# کٲشِر ڈکشنری

## جلد (۲)

(ج ـــــ ی)

دوٚیِم ایڈیشن

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# کاشِر ڈکشنری

جلد دوٚیم

(ح ـــــــ ک)

(دوٚیِم ایڈیشن)

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگوجز سرینگر

# کاشِرڈکشنری

## جلد (۲)

## (ح ـــــ ک)

### ایڈیٹوریل بورڈ



### ایڈیٹوریل سِٹاف

طابع وناشر: سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگوئجز سرینگر

گوڈنیک چھاپ: ۱۹۷۲ء
دوئیم چھاپ: ۲۰۱۱ء
کمپوزنگ: محمد یوسف میر، محمد یاسین
تزئین: محمد شفیع، عافیہ قاری، وحیدہ بختاور
پروف: ڈاکٹر سید افتخار، ڈاکٹر شبنم رفیق، ڈاکٹر گلزار احمد، مقبول ساجد
پبلکیشن آفیسر: غلام نبی میر
معاون: غلام محمد ماگرے
تیداد: اکھ ساس
قیمت: مکمل سیٹ، اکھ ساس روپیہِ
چھاپ:



# گوڈِکتھ

جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی قائیم سپدنہٕ پتہٕ یم اہم منصوٗبہٕ دِردس ہنہٕ آے، تمو منٛز اوس ڈکشنری تیار کرنٕک فائصلہٕ اکھ سٮ۪ٹھے اہم فائصلہٕ۔ اَتھ سِلسِلس منٛز آو کأشُر ڈکشنری بناونٕک سوال ۱۹۵۹ ءیَس منٛز اکیڈیمی ہنٛزِ کأشِر زبأنۍ متعلق مشاورتی سب کمیٹی منٛز تُلنہٕ تہٕ اکھ ریزلیوشن پاس گٔرِتھ آیہٕ ''کأشُر ڈکشنری'' بناونٕکہِ منصوبچ سفأرِش کرنہٕ۔ مختلف مرحلو منٛزی گنٛدرِتھ سپُد ۱۹۷۲ ءیس منٛز امہِ ڈکشنری ہُند گوڈنیُک جِلد تیار سپدِتھ شایع۔ یتھ منٛز ''ا'' تہٕ ''ب'' اَچھرو ستۍ شروٗع سپدن وألۍ تمِ سأری لفظ شأمِل کرنہٕ آے، یمِ جارج گریرسن سنٛزِ ڈکشنری پٮ۪ٹھ ہنہٕ أسۍ آمتۍ تہٕ امہِ علاوٕ آے وارِیاہ تمِ لفظ، محاورٕ تہٕ ترکیبہٕ مِثالو سان شأمِل کرنہٕ، یِم تمہِ وقتہٕ کہِ ایڈیٹوریل بورڈ کیو ممبرو محنت گٔرِتھ تہٕ کتابن ژھأنڈِتھ جمع أسۍ کٔری متۍ۔ بہرحال یہِ اوس کأشرِ ڈکشنری ہُند گوڈنیُک جِلد تہٕ امہِ پتہٕ آے مرحلہٕ وار کأشرِ زبأنۍ ہنٛدی الہِ پلہٕ سأری لفظ، مثالہٕ، محاورٕ تہٕ ترکیبہٕ بیترِ ڈکشنری ہنٛدین گُلہم ستن جِلدن اندر شایع کرنہٕ۔

کأشرِ ڈکشنری ہنٛدی یِم سأری جِلد آے کأشرین قلمکارن، لِکھارین تہٕ زبأنۍ تہٕ ادبہٕ کیٚن طألب علمن سٮ۪ٹھاہ بکار۔ تِکیازِ اَتھ دوران اوس کأشُر بحیثیت اکھ مضموٗن یونیورسٹی منٛز پوسٹ گریجویٹ سوٚتھرس پٮ۪ٹھ شأمِل کرنہٕ آمُت۔ یہِ گٔتھ چھِ أسۍ فخرٕ سان ونان زِ یونیورسٹی منٛز تہٕ پتہٕ کالجن تہٕ سکوٗلن منٛز کأشُر اکہِ مضموٗنہٕ رنٛگۍ شأمِل کرنہٕ وقتہٕ یُس سارِوے کھوتہٕ زیادٕ مواد طألب علمن مہیّا اوس، سُہ اوس کلچرل اکیڈیمی ہُندُے شایع کوٚرمُت۔ یتھ اندر اکیڈیمی ہنٛزِ بے شُمار پبلیکیشنہٕ،

کتابہٕ ،رسالہٕ تہٕ ڈکشنری شامِل آسہٕ۔

بہرحال کاشُر ڈکشنری چھےٚ ادبَن ، نقادَن تہٕ سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ کاشرِ زبانی تہٕ ادبہٕ کِنۍ طالب علمن تہٕ تحقیق کرن والین ہنٛدِ باپتھ سٕتھاہ کارآمد۔ مگر پتٕمو کینژٕ وٕری پیٹھٕ یِنہٕ یہِ سانہِ اکیڈیمی ستا کُنہٕ منٛز موکلیہِ ، پرتھ طرفہٕ اُس یہِ منگ زِ یہِ ڈکشنری گژھ دُبارٕ شایع کرنہٕ یِنۍ۔ موجوٗدٕ دورٕکہِ تقاضہِ تہٕ طالبِ علمن تہٕ تحقیق کرن والین ہنٛدی ضرورِیات نظرِ تل تھاوِتھ آو پرُس یہِ فاصلہٕ کرنہٕ زِ اَسی کرَو یہِ دُبارٕ تِتھی رسمِ خطس منٛز شایع یتھ صوٗرتَس تہٕ رسمِ خطس منٛز یہِ برٛونٛہہ چھاپنہٕ اُس آمُت۔ تاہم آو کمپیوٹر کمپوزنگہٕ سٟتۍ فایدٕ زیٚیتہٕ یہِ گوڈٕ ستَن جلدَن پیٹھ مشتمل اُس، یہِ آیہِ صرف ترٛین جلدن منٛزے موٗ زراونہٕ۔ امیُک سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ فایدٕ ییہِ ڈکشنری استعمال کرن والی ہے۔

کاشُر ڈکشنری ہُنٛد یہِ Reprint ایڈیشن کرِ طالب علمن ،لکھارین تہٕ تحقیق کرن والین ہنٛزٕ اکھ یژٕکاڑ منگ پوٗرٕ ، امیُک چھُ اَسہِ پوٗرٕ یقین۔ییمہِ ڈکشنری ہنٛدس گوڈنکس جلدَس اندر رٲسی "ا" پیٹھ "چ" اچھروتہٕ آوازو سٟتۍ شروٗع سپدن والی لفظ شامِل کرنہٕ آمتۍ ، ییٚلہِ زَن یتھ دوٚیمس جلدَس منٛز "ح" پیٹھ "ک" اچھروتہٕ آوازو سٟتۍ شروٗع سپدن والی لفظ شامِل کرنہٕ چھِ آمتۍ۔

یہِ کٲم تکمیلَس واتناوَنس اندر چھُ اکیڈیمی ہنٛدِ کاشرِ ایڈیٹوریل سیکشن ، شعبۂ اشاعت تہٕ کیلیگرافی شعبہٕ کِنۍ تِمن سارِنے سٹاف ممبرن ہُنٛد اتھ واس تہٕ محنت آفرینس لایق یِمو پنُن پننہٕ مقدوٗرٕ ذِمہ داری سان پنُن فرض نِبھ وول۔

وومید چھم سانہِ محنت کھسہِ رٔتھِ تہٕ پرن والی کرن اَسہِ پننو رایَو تہٕ مشورَو سٟتۍ زانیاب۔

سرینگر
۶ رفروری ۲۰۱۲ء

اَٹل ڈُلّو ، (آئی اے ایس)
سیکریٹری

# رسمِ خط

یُیمہِ ڈکشنری ہُنٛد رَسم خط چھُ سُہ یُس جموٗں وکشمیر ریاسَژ منظوٗر چھُ کوٚرمُت، مگر سُہ وَرتاوَنس اَندر اَسی نہٕ لیٚکھَن والٮ۪ن گُنٛڈِتھ طریقس اَنٛد رلیکھان۔ پَرٛتھ کانٛہہ اوس یہِ رسمِ خط پَنٕنہِ پَنٕنہِ مَرضی مؤجوٗب استعمال کَران۔ اَمہِ باپَتھ بُلاوٕ چیف ایڈیٹرن گوڈٕ اَدیبَن ہٕنٛز اَکھ میٹنگ ۱۹۶۷ء اَنٛد ر۔ تَو پَتہٕ آیہِ بیا کھ میٹنگ ڈِکشنری ہٕنٛد بن دون ایڈیٹوریل بورڈن ہٕنٛز ۲۷ر نومبر تہٕ ۲ر دسمبر ۱۹۷۱ء منٛز چیف ایڈیٹر ہٕنٛدِس وَنَنس پیٹھ بُلاونہٕ، تَتھ اَنٛد رسَپٕز کیٚنٛہہ گَتھٕ طَے یِمن ہٕنٛز ذِکر بونہٕ گنہِ چھےٚ۔

۱۔ اَسماءِ حُسنیٰ تہٕ صِفاتِ محمدیؐ اَنٛد ریم نَمہٕ نَمتھ تہٕ نَمہٕ نَمتھ لَفظ یِوان چھِہ تمِ ییٚن تِتھے پاٹھی ہوٗبہوٗ نَستاٮ۪لیقَس انٛد رعربی مؤجوٗب لیکھنہٕ۔

۲۔ ث، ص، ح، خ، د، ض، ط، ظ، غ، ف، ق، ییٚن تمن سارِنے لَفظَن اَنٛد رلیکھنہٕ یِم عَربی یا فارسی پیٹھٕ آمتٕ آسَن۔ مَثلَن ثواب، صاف، حَد، خط، ذٕلیل، نظر، غَرٕض، قلم بیترِ ییٚن نہٕ لیکھنَس اَنٛد ر بَدلاونہٕ صِرف ییٚتہٕ تَلَفُظ تلہٕ آسہِ کانٛہہ اوٗ راَچھُر (Vowel) بَدلان۔ تتہٕ ییہِ تیٚژ ےیاٚ ژتبَدیلی گرنہٕ۔

''ع'' اَچھُر ییہِ ارِاَچھُرِ چہِ اَدلابَدلی سان لفظَس گوڈٕ تہٕ پَتہٕ لیکھنہٕ۔ مُثلَن: عَمل، عَقل، عٕلم، عاٗش، عاٗرِف، عاٗنکھ، طالیع، شَمع، نَفع بیترِ۔ مگر ییٚتہٕ آخرس اَنٛد راَمہِ بڑوٕنہہ زیوٗٹھ اوٗ راَچھُر (Vowel) ییہِ تتہِ ییہِ تژ اونہٕ مثلَن: شوٗروع بَدل شوٗرُوٕ تہٕ الوِداع بَدل الوِدا، بیترِ۔

۴۔ یُس ''ع'' فارسی یا عربی لَفظَس منزٕس یِیہِ تمہِ بَدَل یِیہِ سہ اؤ راَچھُر (Vowel) لیکھنہٕ یِتھ منز تَمِچ آواز کاشرِس منز بَدلیمٕژ آسہِ، مثلَن: تاشوق، ماشوق، جافُر، تاٲلیف، تاٲجب، تاٲمیر، تاٲلیم، شاٲیر، تولُق، مومٔلی، شولہٕ، جَماتھ بیترِ۔

۵۔ عربی تنوین (ـً ـٍ ـٌ) بَدَل یِیہِ، اَن، ستھونہٕ، مثلَن، فورَن، جبرَن، آنَن فانَن۔

۶۔ دَست، وَقت، سَخت، بیترِ ہی لفظ ہیکِو زِ لیکھتھ پٔتی مہِ 'ت' وَراَے تہٕ مثلَن: دَس، وَق، سَخ بیترِ

۷۔ یِمن لَفظَن عَربیَس اندر، اُل، یوان چھُ، مثلَن: اِبنُ الوقت، بالکُل بیترِ، تِم یِن یِتھٕ کٕنی لیکھنہٕ: اِبنُل وَقت، بل کُل۔

۸۔ یِمن فارسی یا عربی لَفظَن گوڈٕ، اح، یوان آسہِ تہٕ یِمن کاشرِ آوازِ ''ییٚح'' تھٔوتھ نیرِ، تِم یِن اِیٚح، ہتی شۆرٕ گرنہٕ۔ مثلَن: احسان تہٕ احترام یِن لیکھنہٕ ایٚحسان، تہٕ ایٚحترام۔ مگر اَحد اَحمد تہٕ اَحمق ہی لفظ یِن تِتھے کٕنی لیکھنہٕ تہِ کیازِ یِمن منز چھِنہٕ 'ح' ییٚح، آواز دِوان۔

۹۔ عام پأٹھی گژھِ یہِ یاد تھٔون زِ کاشرِ لفظ یِن کاشرِ آوازِ مۆجوٗدٕ لیکھنہٕ۔ مثلَن: پیدا، میدان، شاعر، خواہش، جُرات بیترِ بَدَل گژھِ لیکھنہٕ پأدٕ، مأدان، شأیر، خأہش، جُرتھ۔

۱۰۔ یِیتہٕ کانہہ عَربی لفظ ''اع'' سان شۆرٕ آسہِ سپدان سہ یِیہِ ''اع'' اَکھ دُکھانٹ (Digraph) شرٕ ونٹ اَچھُر مانتھ۔ 'اع' ہتی شۆرٕ گرنہٕ مثلَن: اعتبار، اعتراض، یِن تِتھے پأٹھی لیکھنہٕ یِتھٕ پأٹھی عَربیَس اَندر رچھِ۔

۱۱۔ کھٔے، ژٔے، مٔے ہی لفظ یِن تِتھے پأٹھی لیکھنہٕ۔

۱۲۔ ۂ چھُ نِشانہٕ دون ڈٕری اَچھرن منزٕ اؤ راَچھُر نہٕ آسنگ۔ مِ: بزٕم۔ کیا۔



# علامأژتہٕ ژھوٚٹرنہٕ

| | | | |
|---|---|---|---|
| — ہ | بڑ وٕنہہ لوٚگ | ہ — | پوٚت لوٚگ |
| ؟ | : اَمہِ پَتہٕ مَشکوٗک | ؟ | : اَمہِ بڑ وٕنہہ مَشکوٗک |
| < | : آگُر کھوورِ لَفظٕ منٛز درامُت | > | : آگُر، دٔچھنہِ لَفظٕ منٛز درامُت |
| ˄ | : (ژٕری) اَچھرٕ مِلہٕ وَن | س | : سنسکرت |
| انگ | : انگریزی | ف | : فارسی |
| ع | : عربی | ہ | : ہندُستانی (اُردو/ ہندی) |
| ل م | : لفظی مانے | مِ | : مِثال |
| مُ | : مُقابلہٕ چھُس | م | : مادٕ- ن، نَر |

(امہِ ہُر چھِ بیٚیہِ تہِ کیٚژن زَبانٔن ہٕندی لَفظ یہٕنٛدی ناوپٔوٚرٕ چھِ دِنہٕ آمتۍ)

# تشریح

کأوی علامَتھ چھےٚ لَفظُک آگُر ہاوان۔ یورٕ گُن یہِ کوو وَہراوِتھ آسہِ تتھ چھُ تَمہِ لَفظُک آگُر دِتھ یُس کأوِس کوٗنُس نِش لیکھتھ آسہِ۔ مَثلَن [اٛچھ < س: اَکشہِ > پڑاکرِت: اَچ چھِ] گوٚ زِ کأشُر لَفظ، اٛچھ، چھُ سنسکرت، اَکشہِ، لَفظ پیٹھٕ آمُت۔ اَمی پیٹھٕ چھُ پڑاکرت 'اَچ چھِ' آمُت یُس کأشرِس لَفظس سٟتۍ میلان چھُ۔ سَوالیہ نِشان چھُ ہاوان مَشکوٗ کیٚتھ۔ یہِ چھُ مَشکوٗک گَتھِ گوڈٕ یِوان یِتھٕ پأٹھۍ: مِثال؟ اَنتہٕ کال چھُ درامُت، اِنتِقال لَفظ منٛزٕ۔ انتقال لَفظ منٛزٕ چھُ اَنتہٕ کال درامُت۔



# اَچھرَن تہٕ لَفظَن ہنٛز تَرتیب

یہِ تَرتیب چھےٚ ڈکشنری ایسیسمنٹ کٔمیٹی (Dictionary Assessment Committee) ہُنٛد رِپورٹ نظرِ تَل تھٔوِتھ یُس تمہِ جوٗن ۲۱، عیٖسوی اَنٛد ردیُٹ تہٕ ایڈیٹوریَل کٔمیٹی ہِنٛدِ فأصلہٕ موٗجوٗب دِنہٕ آمٕژ۔ اَچھرَن ہنٛز ترتیب چھےٚ یَتھٕ پأٹھی۔

## أری اَچھر

ـَ ـآ ـٕ ـٔ ـِ ـٟ/ی ـٖ ـٕ ـُ ـٗ

اَو اوٚ او ےٚ بےٚ ۓ ی اع

## ژٔری اَچھر

ا ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ث ج چ چھ ح خ د ڈ ذ ر ڑ ز ژ ژھ

س ش ص ض ط ظ ع غ ف ق ک کھ گ ل م ن و ہ ے

یِموٚنٛز چھُ 'اع' اکھ دُکھانٹ گُنُے اَچھر (Digraph) مانہٕ یوان۔ یہِ چھُ ایڈیٹوریل کٔمیٹیَن ہنٛزِ سُفأرشہِ موجوٗب تتھ جایہِ استیمال آمُت کرنہٕ یێتہِ کانٛہہ لَفظ عَربی پێٹھٕ آمُت آسہِ۔ اَتھ چھُ ضوٗرورتہٕ موٗجوٗب زٕ آوازٕ نیران۔ مثلَن اعتبارٕ اعتراض، لَفظ یہَن نَتہٕ آوازِ موٗجوٗب یێتبار، تہٕ یێتراض لیکھنہٕ، بیا کھ آواز چھس نیرابن یێلہِ "اعراب" ہیوٗ ہ لَفظ آسہِ۔ یہِ اَچھُر چھُ نوٚ وتہٕ توٚکِنہٕ چھُ سارِنے اَربن اَچھرَن پَتہٕ دِنہٕ آمُت۔

عام پأٹھی چھےٚ فارسی تہٕ اُردوٗ ڈکشنریَن ہنٛز تَرتیب اعراب زیر زَبر تہٕ اُوِتھ حوٗروٗف ہِجیو موٗجوٗب دِنہٕ یوان مگر یوسہٕ اَسہِ پێٹھ گنہِ اَچھرَن ہنٛز تَرتیب دِژ تمہِ موٗجوٗب چھےٚ لَفظَن ہنٛز تَرتیب تہِ بدلان۔

مَثلَن: فارسی یا اُردوٕ ڈِکشنری مَنٛز ییٚہٕ ’باد‘ لفظ گوڈٕ تہٕ ’بُد‘ لفظ پتہٕ، مگر کاشُرِ ڈکشنرِ اَنٛد ریٚہٕ ’بُد‘ لفظ پتہٕ تہٕ کیازِ ’بُد‘ لفظس چھُ ’ب‘ تہٕ ’زبر‘ (ــَــ) تہٕ ’باد‘ لفظس چھُ ’ب‘ ’ا‘ ایسیسمنٹ کمیٹی ( Assessment Committee ) ہٕنٛز سُفارشہِ مۆجوٗب ییٚہٕ زَبَر (ــَــ) گوڈٕ تہٕ ’ا‘ پتہٕ۔ تِتھے پأٹھۍ ’گَرَم‘ گوڈٕ تہٕ ’گرٲم‘ (ہا کھ) یِتھ کٕنۍ پتہٕ، زٕچھ سارِوے کٕنۍ تہٕ تِتھۍ اَرہ اَچھر وِپتہٕ۔



# ح

کأشرێک ژُو اُہُیم ،عربی یک شیٚیم تہٕ اُردو ہُک ژُوہُیم
حرٝف ۔ ابجد حسابہٕ چھُ اَتھ اُٹھ مول۔

حَب ۔ ن ۔ مؤل: حَب ﺡ ع: حَبّ ]۔ ا۔ دوا گوٗلی ۔
دَواژٕ ژٹ ۔ ۲۔ بیاٚلی پھوٚل۔ لوٚکٹ پھوٚل یادانہٕ۔

حَبش ۔ ن ۔ مؤل: حبَش ﺡ ع: حَبَش ]۔ افریقاہس اندر
اکہِ مُلکُک ناو۔ اتھو پیا۔ اَبے سینیا۔

حَبشی ۔ حبشُک روزن وول۔ (ورگہٕ) گرٕہُن انسان۔
یَس پانس گرٕہُن رنگ آسہِ۔ کالہٕ۔

حَبہِ خوتوٗن ۔ کأشرِ زبأنۍ ہنٛزِ اکھ نامہ وار گوٚنہٕ ماتھ۔

حبس ۔ ن ۔ مؤل: حبَس ﺡ ع: حَبس ]۔ ا۔ گرٕیشِم آسنہٕ
کِنۍ دَم ہیوٚ گرٕٹھن ۔ ۲۔ بنٛدِش ۔ کأژ۔

حبسِ بے جا۔ ناجایزیا قونونس خلاف کانٛہہ بنٛد تھوٚن۔
زبردٔستی ہُنٛد قأد۔ کانٛہہ زبردٔستی بنٛد کرُن۔

حبسِ دَم ۔ واریاہس کالس شاہ بنٛد کرُن۔ (صوٗفی یَن
ہنٛزِ اکھ ریاضتھ) پرٛانایام۔

حَتُل امکان ۔ مؤل: حَتُل امکان ﺡ ع: حتی الامکان ]۔
یؤت پلہِ تیٚؤت ،یؤت ہیٚنہِ کِنۍ تگہٕ یا چلہٕ۔

یؤت ممکِن آسہِ۔

حَتُل مقدوٗر ۔ مؤل: حَتُل مقدوٗر ﺡ ع: حتی المقدوٗر ]۔
مقدوٗرِ مطأبق ۔ یؤت پلہِ تیٚؤت۔

حَتُل وُستھ ۔ مؤل: حَتُل وُست ﺡ ع: حتی الوسعۃ] ا۔ یؤت
ہیٚکِہ زِتیٚؤت ۔ یؤت پلہِ تیٚؤت ۔ ۲۔ یوٚت واتہٕ توٚت۔

حَتمی ۔ مؤل: حتمی ﺡ ع: حتمی ]۔ (کُنہِ کتھہِ ہُنٛد فأصلہٕ یا
وادِ بیترِ) یُس نہٕ ڈلتھ ہیٚکہِ۔ اَٹَل ۔ اُخری۔

حج ۔ ن ۔ مؤل: حج ﺡ ع: حج ]۔ خانۂ کعبچ زیارت تہٕ
طواف بیترِ (یہ چھِ پرٛتھ پأٹھی بجہِ عیدِ کیٚت کران)
حج کرُن چھُ بنایہِ مسلمأنی ہُنٛد اکھ رُکُن۔

حج اکبر ۔ بوٚڈ حج ۔ سُہ حج یتھ زیادٕ ثواب آسَن۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بوٚڈ ثواب۔

حج زیٚنُن ۔ (ورگہٕ پأٹھی) کانٛہہ جان کأم کرِتھ حجُک
ہیوٚ ثواب زیٚنُن۔

حج کرُن ۔ ا۔ خانہ کعبچ زیارت ۔ طواف کرُن ۔ ۲۔ (ورگہٕ
پأٹھی) کانٛہہ سبٹھاہ بٔڑ کأم کرٕنۍ۔

حجام ۔ نأید ۔ مس کاسن وول۔

حَجرُل اسود ۔ ن ۔ مؤل: حجرُل اسود ﺡ ع: حجرُ الاسود ]۔

خانہ کعبہ کِہ اکِہ دیوارِ چ سو کرٕہٕنز کَنٕ۔ یتھ حاجۍ بوسہٕ چھِ دِوان۔

حَد۔ ن۔ مؤل: حَد <ع: حَد]۔ ا۔ اَنتھ۔ اَند۔ (کُنِہ گتھِ ہُنٛد یا ملک)۔ انتہا۔ ۲۔ بَنہٕ۔ سرحَد۔ پُرنہٕ بیترِ ہُنٛد اَند یا دۆنٛد۔ ۳۔ روٗٹ یا پٔلیار بیترِ۔ جنگلہٕ بیترِ یُس ژھِین دِنہٕ باپتھ آسہٕ۔

حَدِ کمال۔ ژرِ کھوتہٕ ژۆر۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ۔

حَدٕ۔ قوہٕ ہس منز۔ اَتھس منز۔ گنٛڈس تل۔

حدٕ ڈُلُن۔ ا۔ بےٚ اعتدال آسُن۔ نیرتھ گژھُن۔ ۲۔ پننہِ کٔنۍ۔ یتہٕ نیبر نیرُن۔ پرٛنہٕ پیٹھٕ نیرُن۔

حَدٕ رَٹُن۔ حدس منز رَٹُن۔ گنٛڈٕ رَٹُن۔ گوٚتھوُن۔ زیادٕ نیرتھ نہٕ گژھنہٕ دِیُن۔ قاُیدس منز رَٹُن۔ شُرِس بیترِ ہِین کُرِتھ خراب نہٕ گژھنہٕ دِیُن۔ شُر بیترِ اَتھس تل رَٹُن۔

حدٕ روٗس۔ سیٹھا۔ اَنتھہٕ روٗس۔ یتھ نہٕ کانٛہہ اند یا گنٛڈ آسہٕ۔ قاُیدٕ نیبر۔

حدٕ روزُن۔ ا۔ قاُیدس منز روزُن۔ اعتِدالہٕ پکُن۔ بۆزِتھ پکُن۔ ۲۔ گنٛڈس تل روزُن۔ روگردان نہٕ گژھُن۔ بَتھہٕ پھیٚر نہٕ لاگُن۔

حَدٕ کھوتہٕ زیادٕ۔ پرٛ کھوتہٕ ژۆر۔ غلبہٕ۔ گُتُل۔ سیٹھا زیادٕ۔ داریاہ۔

حدٕ نیرُن۔ (ورگہٕ) روگردان گوژھُن۔ بَتھہٕ پھیٚر لاگُن۔ اخلاقی میعارٕ نیبر نیرُن۔ یہ نہٕ پزِ تہِ گرُن۔

حَد آسُن۔ گنٛڈ آسُن۔ روٗٹ آسُن۔ اَنتھ آسُن۔

حدبَنٛدی۔ کاٹھگر۔ جنگلہٕ۔ بیرٕ یا دوس بیترِ یوسہٕ کُنہِ پُرنہٕ گنٛڈنہٕ ییہ۔ بنہٕ بَد کڈُن۔ سرحدن ہنٛز نشاندہی۔

حَد کرُن۔ ا۔ کمال گرُن۔ ۲۔ (ہزلہٕ پأٹھۍ) نیرتھ گژھُن۔ یہ نہٕ پزِ تہِ گرُن۔ ۳۔ (خری ف شُرِس بیترِ) کھُٹیترِ گرُن۔ ہِین تھاوُن۔ شُر بیترِ اَتھس تل رَٹُن۔

حَد گژھُن۔ ئری پیٹھٕ گوژھُن۔ زیادٕ تی گژھنۍ۔ مُقرر حدو نیبر نیرُن۔

حَد نہٕ آسُن۔ بےٚ گنٛڈ آسُن۔

حَذف (گرُن) ن۔ مؤل: حذف <ع: حذف] تراوُن۔ کھیوٗن۔ کانٛہہ لفظ یا کتھ بیترِ کھینۍ۔ ورزُن۔

حرَم، حرمہٕ۔ م۔ مؤل: حرَم <ع: حرَم]۔ پادشاہ ہنٛز آشنۍ تہٕ ژوٗرٕ دایہ۔

حَرَم خانہٕ۔ پادشاہ سُنٛد سہ محل۔ یتھ اَند رٔتھنز زنانہٕ روزان آسَن۔

حَرَم سرا۔ محلہٕ خانک سہ حصہٕ۔ یتھ اَند رزنانہٕ روزان آسن۔ زنانہٕ خانہٕ۔

حرارتھ۔ م۔ مؤل: حرارت <ع: حرارۃ]۔ ا۔ تاو۔ تَوٗر۔ گرمی۔ وُشنیر۔ ۲۔ تپھ۔ بُخار۔ زَر۔

حَرام۔ ن۔ مؤل: حرام <ع: حَرام: حرم]۔ ا۔ یتھ شریعتہٕ یَتہِ کَنۍ ٹھاکھ آسہٕ۔ ییمیُک منع آسہٕ۔ ۲۔ جانور بیترِ

یُس نہٕ تکبیر پُرِتھ کھش کرنہٕ آسہِ آمُت۔ ۳۔ یہ نہٕ
کھیوٚن پزِ (موٚکُر جانور بیترِ) ۴۔ زِنا۔ بدکٲری۔
۵۔ ناکارِگی۔ یچھ کام۔ ناجایز۔ بُرٲیی۔ اَتھر۔
۶۔ ناپاکھ۔ موٚکُر۔ ۷۔ پوٚنسہٕ ژوٚنگ یُس ناجایز
طریقہٕ زینہٕ آسہِ آمُت۔ ژوٚرِ ہُند، ظلمُک یا
بدکٲری بیترِ ہُند پوٚنسہٕ۔

حرٲمس اتھہٕ دارُن۔ ۱۔ کوٚ ژھ رَٹُن۔ رَشوٕ مَنگُن۔
۲۔ ژوٚرِ یا لوٗٹہٕ مالہٕ منٛز حصہٕ ژھانڈُن۔

حرٲمس مٲل پیوٚن۔ (ہزلہٕ) حرام کھٕنچ خٲہش گژھنی۔

حرٲمُک۔ ۱۔ یُس زنا کُرِتھ زامُت آسہِ۔ ۲۔ بدکٲری
ہُند یاد ظلمُک پوٚنسہٕ بیترِ۔ ۳۔ یہ چھِ اُڈ زاڈ کرنہٕ
وِزِتس تہٕ ونان یُس نہٕ مٲلِس ماجہِ ہُند بوزان
آسہِ۔

حرٲمُک مال حرامچہِ وَتہٕ۔ بدکٲری یا ظُلم بیترِ کُرِتھ
پوٚنسس چھنہٕ برکتھ۔

حرام توٚخم۔ کوٚبیالیگ۔ زِنہٕ ہُک (ورگہٕ پاٗٹھی)
کھوٚر۔ رٔزیلہٕ۔ بدذاتھ۔

حرام خوٚری۔ حرام کھیوٚن۔ کٲنٛسہِ پٹھ ظُلم کُرِتھ یا
بےٚ ایمٲنی کُرِتھ پوٚنسہٕ کماوُن۔

حرام خور۔ یُس حرام کھیپہٕ۔ حرام کھاو۔

حرام زادٕ/ حرام زود۔ ۱۔ حرام کُرِتھ زامُت۔ زِنا
کُرِتھ پاد گوٚمُت۔ ۲۔ (ورگہٕ) رٔزیلہٕ۔ کمینہٕ۔
یُس بیٚیس اُڈنےٚ موٗلن تھاوِ۔

حَرام زٲز۔ بدماش زنانہٕ۔

حَرام کُٹھ۔ یُس حرام کُرِتھ آسہِ زامُت۔ یُس زِنا
پٹھہٕ پاد آسہِ گوٚمُت۔ زِنہٕ ہُک۔

حَرام گرُن۔ ۱۔ کُنہٕ چیزس ٹھاکھ گرُن۔ کُنہٕ کامہِ یا
چیزس منع گرُن۔ ۲۔ کانٛہہ چیز کھیوٚن بند گرُن۔
۳۔ بدکٲری گرٕنی۔

حَرام کٲری۔ ۱۔ زِنا۔ بدکٲری۔

حرام کھاو۔ ۱۔ یُس کامہِ کارس منٛز بےٚ ایمٲنی ورتاوِ۔
۲۔ س حرامچ کمٲے کھوان آسہِ۔ یسُند گذارٕ
بدکٲری پٹھ آسہِ۔

حرام کھیوٚن۔ ۱۔ بےٚ ایمٲنی کُرِتھ گذارٕ چلاوُن۔
۲۔ ناجایز کُرِتھ تِتھی پٹھ گذارٕ چلاوُن۔ ژوٚرِ
ہُند، ظلمُک یا زِنہُک پوٚنسہٕ زینِتھ کھیوٚن۔

حَرام مغز۔ رکبہٕ اُڈی جہٕ ہنٛز وَس۔

حَرام موٗنٛڈ۔ لیکہِ پُژھی کٲنٛسہِ زنانہِ وننہٕ یوان۔ سو
زنانہٕ یوسہٕ رۄن مرِتھ بدکٲری آسہِ کران۔

حرام ہُرٕ کِسہٕ۔ حرام مالس عٲش (گرُن)۔
رشوتُک پٲنٛسہٕ۔ ژوٚرِ یار۔

حرام ہوٚکھر۔ بدخاہ زنانہٕ۔ سو زنانہٕ یُس خراب
سنگ آسہِ۔ نمبر دژاو زنانہٕ۔

حرٲمی گژھُن۔ ۱۔ موٚکُرے مَرُن۔ تکبیر ورٲے
جانور مَرُن۔ ۳۔ ضایہ گژھُن۔ کُنہٕ نہٕ لَگُن۔

حَربہٕ۔ ن۔ موٗل: حَرب <ع: حرب] ۱۔ ہتھی یار۔ سامانہٕ

ییٚمہٕ سٟتؠ لڑاے گرؠ زِ۔ ۲۔ چال۔ ژَھل۔ م: کم
کم حربہٕ ازماوؠ نس تو تہٕ گونہٕ راس۔
حرجہِ (ہرجہ)۔ ن۔ مؤل: حرج <ع: حرجۃ ]۔
۱۔ (کامہِ کارس) تھوتھ۔ ٹھوٗنٹھ۔ رُکاوٹھ۔
۲۔ نوقصان۔ ضرر۔
حَرجہِ گرُن۔ (کُنہِ کامہِ) رُکاوٹھ بٔنُن۔ روٗٹھ
یا ٹھوٗر بٔنُن۔ ٹھوٗنٹھ اَنُن۔
حرجہِ گژھُن۔ تھوتھ گژھنؠ روٗٹھ سپدُن۔ اٹھکاو
سپدُن۔ دوکھہٕ واتُن۔
حَرف۔ ن۔ مؤل: حَرف <ع: حرف]۔ اَچھر۔
حرفس گواہ میٛنڈس شُر پکھ۔ یہ چھِ ژٕکھہٕ کٔنؠ تس
متلق ونان یُس پرٛتھ وِزِ نال ؤلتھ روزِتہٕ چھےٚ
ٹلہِ نہٕ۔ یُس پرٛتھ وِزِ حاضر آسہِ۔
حرفَن مانے ژارُن۔ اَکس اَکس کتھِ ٹل گرُن
تہٕ اَتھ اصلیتھ سر کرٕنؠ۔ نوکتن سٕنُن۔
حَرف اول۔ گوڈٕ کتھ۔ گوڈُٹ۔ سو کتھ یوسہٕ کُنہِ
کتابہِ یا رِسالس ہیٚترِ دیباچہِ رٔنگؠ لیکھنہٕ پیہِ۔
حَرف آغاز۔ گوڈٕ کتھ۔ کتابہِ ہیٚترِ ہُند گوڈ۔ یہ
کیٚنژھا گوڈنیتھ ونہٕ یا لیکھنہٕ پیہِ۔
حَرف اُخِر۔ ۱۔ یہ کیٚنژھا پتُس لیکھنہٕ یا ونہٕ پیہِ۔
۲۔ (ورگہٕ) یہ نہٕ پھِرتھ ہیکِ زِ۔
حرف مطلب/حرف مُدا۔ مطلبٕچ کتھ۔
حَرف برادِین۔ رُکاوٹھ تٕنؠ۔ روٗٹ سپدُن۔ کُنہِ

کتھِ کھٕریٚن۔
حُرفہٕ حرفہٕ۔ اَچھرٕ اَچھرٕ۔ اکہِ اکہِ حرفہٕ۔ اکھ حرف
تٕراوِتھ تہٕ نہٕ۔ رٔژھہٕ رٔژھہٕ۔
حرفہٕ زان گژھنؠ۔ ۱۔ اچھر زان گژھنؠ۔ کم کاسہٕ
لِکھہٕ پرٕ ہیچھنؠ۔
حَرف گیری۔ کتھ کڈٕنؠ۔ عاب ژھارٕنؠ۔ نوکتہٕ چیٖنؠ۔
حرکتھ۔ م۔ مؤل: حرکت <ع: حرکۃ: ]۔ ۱۔ سور۔ اَکی ڈنجہِ
ژِرتھ نہٕ روزنٕچ حالتھ۔ الہٕ ڈلہٕ۔ اُلُن۔ ہلُن۔
۲۔ وَج۔ فالج۔ لقوٕ۔ نُرزنگ ہیٚترِ بےٚ حِس
گژھنؠ۔ (یہ چھےٚ اکھ بمارؠ) ۳۔ اَرؠ اچھر۔
اعراب۔ زَبر، زیر، پیش ہیٚترِ۔ ۴۔ زیر۔ اشارٕ۔
کُنہِ کُن ژہنہٕ ؤنؠ۔
حرکتھ چھےٚ برکتھ۔ کارس منٛز روزٕنؠ چھےٚ کامیٲبی
ہٕنز وَتھ۔ خوشحال بننہٕ خاطرٕ چھےٚ میہنتھ کرٕنؠ
ضروٗری۔
حرکتھ کرٕنؠ۔ ۱۔ نُرزنگ ہیٚترِ ٹلنؠ تٕراونؠ۔ اَکی سے
جایہِ نہٕ ہتھ روزُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) کانہہ
کاّم کار کرُن۔
حرکتھ گژھنؠ۔ [illegible] وزُن۔ الہٕ ڈلہٕ گژھُن۔
اور یور ہلُن۔ ۲۔ [illegible] گژھُن۔ فالج گژھُن۔
نُرزنگ ہیٚترِ بےٚ حِس گژھنؠ۔
حرمِ پاک۔ م۔ مؤل: حرم: <ع: حرم]۔ ۱۔ خانہٕ کعبُک
اَندریم حصہٕ۔ خانہٕ کعبُک آنگن ہیٚترِ۔ ۲۔ مُشہد۔

حرمین (شریف) مؤل: حرمین ح ع: حرمین]۔ عربکہ زِ شہر مکہ تہٕ مدینہ یم مسلمانن ہٕندی کِنہ سبٹھا متبرک چھِ۔

حسَد۔ ن۔ مؤل: حسد ح ع: حسَد]۔ ا۔ ازرُون۔ کانٛسہِ ہُند بجا آسُن نہٕ خوش یُن۔ بیٚین ہنٛز بجاییٚ نہٕ زُرتھ ہیکُن۔ ۲۔ دُشمنی۔ ضِد۔ عداوتھ۔ وآر۔

حسدی۔ ا۔ ازرونی لد۔ یس نہٕ بیٚین سُند خوش ییہ۔ یُس بیٚیس کیٛت بدکانٛچھِ۔ ۲۔ یس کانٛسہِ ہُند عداوتھ آسہِ۔

حسدِ نہٕ نارِ دزُن۔ دوٚیمِس ہنٛز بجاییٚ ناخوش یُن۔ ازرُون یُن۔

حسَنؑ۔ ن۔ مؤل: حَسن ح ع: حسن] حضرت علیؑ سُند زیٹھ ہیوٚ فرزند۔ حضرتِ امام حسینؑ سُند زیٹھ بوے۔

حساس۔ مؤل: حساس ح ع: حساس: حِس]۔ ا۔ یس دِل بڈٕ اُوٚیل آسہِ۔ یس کانٛسہِ ہُند دوکھ یا تکلیف وُچھتھ جلد اثر گژھہِ، یُس ژٕتھ گژھہِ ۲۔ یس وٚلی یتھے ہیوٚ گژھہِ۔ یُس نہٕ موموٗلی کتھ تہٕ زرِتھ ہیکہِ۔ یس وٚلی دِلس لگہِ۔

حسب۔ مؤل: حب ح ع: حسب]۔ اکھ بڑ ونہہ لوٗگ۔ پُژھی۔ موکھہِ۔ مؤجوٗب۔ مِ: حسبِ کُنٛی یتھ۔ حسبِ ارشاد۔

حسبِ توفیق۔ یس یژھ کُنٛی یتھ آسہِ۔ یس یتھ اوقاتھ وزاو۔ یس یُتھ یوٚ ژھُن۔

حسبِ حال۔ ا۔ خراب حالتھ۔ حالِ بد۔ ۲۔ موقہٕ حسابہٕ ٹھیکھ۔ یُتھ موقہٕ اوس۔

حسبِ حال کرُن۔ اُڈ زاُڈ کرٕنی۔ بےٚ عزتی کرٕنی۔ تباہی کرٕنی۔ حالِ بدکرُن۔

حسبِ حال گژھُن۔ حالتھ خراب گژھٕنی۔ شکل ڈلٕنی۔ شکل بگرٕنی۔

حسبِ کُنٛی یتھ۔ ا۔ پننہٕ پننہٕ بتہٕ مؤجوٗب۔ یس یژھ کُنٛی یتھ اُس۔ یہ دِتھ ہیکہِ۔ ۲۔ یس یہ واتہِ۔ یس یہ کھسہِ۔

حسبِ حُکم۔ حُکمہٕ مؤجوٗب۔ حُکمہٕ پُژھی۔ یہ کینٛژھا حُکم اوس۔

حسبِ دوستوٗر۔ یتھے پاٹھی۔ یتھہٕ کِنہ اوس یتھے کِنہ۔ پرٲنی پاٹھی۔ دوتوٗر مطابق۔

حسبِ ضابِطہٕ۔ ضابِطہٕ پاٹھی۔ یتھہٕ پاٹھی پزِ یتھہٕ پاٹھی۔ حسابہٕ مؤجوٗب۔ اوٗصوٗلہٕ مطابق۔ قونونہٕ نبرٕ نہٕ۔

حسبِ فرمائش۔ فرمایشہٕ مؤجوٗب۔ یہ منگنہٕ آو۔ ونہٕ مُطابق۔ یٚیمہ طریقہٕ ونہٕ آو۔

حسبِ مقدوٗر۔ یوٗت کھسہِ۔ یوٗتا واتہِ۔ یوٗت ہیکہِ زِ۔ یپزٕ اصوٗرتھ آسہِ۔ بترٕ مؤجوٗب۔

حسبِ منشہٕ۔ مرضی مؤجوٗب۔ کانٛسہِ ہنٛدِ منشہٕ مطابق۔ یتھہٕ کِنہ کانٛسہِ یوٚ ژھ۔

حسبِ مُدا۔ تمی طریقہٕ یٚیمہ طریقہٕ دِل یژھان

آسہِ ۔پننہِ مرضی موجوٗب ۔پننہِ یژھنہِ مُطابق ۔
حسبِ موموٗل ۔ دوٗہدِش پاٹھی ۔ یتھہِ کنٛز دہ ہے سپدان چھُ ۔
حسبہِ نسب ۔ موٗل: حسب نسب <ع: حسب+نسب ]۔ مالِہ وَتہِ خاندانٛی سلسلہِ ۔
حَشر ۔ن ۔موٗل: حشر <ع: حشر ]۔ا۔ قیامتھ ۔ روزِ محشر ۔ ۲۔(ورگہِ پاٹھی) ظُلم تہِ زبردٔستی ۔گٹہِ کار ۔لوٗٹھ ۔ تاراج ۔ سم سوٗتُر ۔۳۔ کانٛسہِ ووپر زنانہِ ستی زبردٔستی یا جبرن زِنا ۔
حَشر کرُن ۔ا ۔گٹہِ کار تُلُن ۔ لوٗٹہِ مار کرُن ۔ قیامتھ مِلوٗنی ۔۲۔زبردٔستی زِنا کرُن ۔
حَشر گژھُن ۔ا ۔قیامتھ گژھنی ۔حسبِ حال گژھُن ۔ ۲۔(ووہو) بلاے ینٛز ۔
حشمتھ ۔ ن ۔موٗل: حشمت <ع: حشمۃ ]۔ا۔شان وشوکتھ ۔ٹھاٹھ ۔ٹھکہِ ٹھکہِ ۔۲۔ بجر ۔بڈٕ ہمی ۔
حشمتھ ہاوُن ۔(ورگہِ) بجر ہُکھکُن ۔ بڈٕ ہمی ہُنٛد باس دِین ۔
حَصَر ۔ن ۔موٗل: حصر <ع: حصر ] ۔ا۔ دارٕ مدار ۔ تکیہِ ۔ ۲۔ وُقعت ۔ بوٗر ۔
حض ۔حضرت ،لفظُک ژھوٗٹ ۔
حضرت ۔موٗل: حضرت <ع: حضرت ۔حضر]۔ا۔ جناب ۔ صأب ۔ یہ چھہِ یزتہِ پاٹھی زِٹھس ونان ۔۲(ہزلہِ) تس کُن ونان یُسنہ یہ ویٖژھ ۔

حضرتِ بندٕ و ۔(تکیہِ کلام) صاحبو ۔
حضرت محمدؐ ۔ پأغمبر اسلام ۔خوداینہ تعالیٰ سُنٛد رسوٗل یمن پیٹھ قرآن کریم نازِل سپُد ۔آنحضرتن ہُنٛد اِسمِ شریف ۔
حضرت ہاتفی ۔غأبی شیچھ انن وول ۔
حضرت بَل ۔ درگاہِ شریف ۔ ڈل بُٹھس پیٹھ اکھ استانک ناو یتہِ حضرت محمدؐ صأبُن موے شریف تھاونہِ آمت چھُ ۔
حظَب ۔م ۔موٗل: حطب <ع: حطب ]۔ پأش زیٗن ۔
حظ (تُلُن) ن ۔موٗل: حظ <ع: حظ]مزٕ تُلُن ۔لطف تُلُن ۔ حظ تہِ ہوس نیرٕنی ۔ ارمان نیرٕنی ۔ دِلکی شوق پوٗرٕ سپدٕنی ۔خابن تابیر نیرُن ۔
حق ۔ن ۔موٗل: حق <ع: حقّ ]۔ا۔ پوٗز ۔پزر ۔حقیقت ۔ یتھ لۆدٕ رنہِ شک آسہِ ۔۲۔ یہ کھسہِ تہِ یتھ دعوا کرِتھ ہیکہِ زِ ملکیت ۔م :سُہ کیازِ ترٛاوِ پننہ حق ۔ ۳۔موٗزوٗرٕ ۔ مزٕ ۔۴۔ دعوا ۔ یختیار ۔ م: ژے کیاہ حق چھے کانٛسہِ ہنٛدِس شُرس کینہ ونہِ نس ۔ ۵۔خودایہ سُنٛد اکھ صفتی ناو ۔۶۔ داد ۔ انصاف ۔ ۷۔ فرض ۔ذمہِ داری ۔م: اَسہِ وول پنُن حق نکھہِ ۔
حقِ آسائیش ۔ا۔ یہ چھُ اکھ قونوٗن یمہِ موجوٗب کانٛہہ شخص بیٚیس شخصہِ سنٛزِ آسائیشہِ ددارٕ ہیکہِ نہِ واتنأوِتھ ۔ ۲۔آرام پزٕادنہِ خأطرِ انصاف ژھانڈنک یختیار ۔
حق تنسیخ ۔(کانٛہہ قرارداد یا قونوٗن ہیترِ ) رَد کرنک

حق۔ پھٹر اونگ حق۔ وٹو۔

حقِ تحصیل۔ سو اُجرتھ یوسہٕ موقدمس ماملہٕ بیترِ سۆمبرنہٕ باپتھ دِوان آسہِ۔ نمبردارٕ سنز اُجرتھ۔

حقِ حلال۔ پزٕ چ کمأے۔ یہ شریعتہٕ کنۍ جأیز آسہِ۔ یتھ نہٕ کانْہہ گوناہ آسہِ۔

حقِ خودا۔ (ل۔م) ا۔ خوداین سُند حق۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) خلنہٕ دار۔ رؤن۔

حقِ خود ارأدِیتھ۔ پنٕنۍ راے ظأہر کرنک حق۔ پننٕ راے دِنک حق۔ یہ پانہٕ بیٛژھی زِتہٕ کرنک حق۔ قوچ راے ترٛاے مولوٗم کرنک حق۔

حقِ سرکار۔ (ورگہٕ) مألی یہ۔ ماملہٕ (یُس زٔمینس بیترِ سرکارس گژھ بران)

حقِ ملکیتھ۔ مأ لکھ آسنک دعوا۔ کُنہ چیزس پتھ تمہِ چیزُک مأ لکھ آسنہٕ کنۍ ہختیار۔

حقِ موروٗثی۔ وراثہ ہُند حق۔ مألی زاٮ۪ن آسنہٕ کنۍ حق۔

حقہٕ۔ ا۔ پزٕ۔ پزٕ کنۍ۔ پزٕتلہٕ ۲۔ باپتھ۔ خأطرٕ۔ موٗجوٗب۔ م: تُہند حقہٕ گوٚ ویوٗ ٹھے۔

حقہٕ بل واتُن۔ (ورگہٕ) مَرُن۔ یتیمہِ دُنیایہٕ گژھُن۔

حقہٕ ناحقہٕ۔ پزٕ اَپزٕ۔ ہنگتہٕ منگتہٕ۔ خامخاہ۔ کُنہِ وَجہہ ورأے۔ بے سبب۔

حقُ اللہ۔ خوداین سُند حق۔ یہ کیٛژھا بندٕ ن خوداین سٕندِ خأطرٕ کرُن پزٕ۔

حقُل عباد۔ (ع۔ حق العباد) بندن ہند حق۔ یہ کیٛژھا انسانس پتھ انسانٕ سُند حق چھُ۔

حقُل یقین۔ (ع: حق الیقین) صوٗفی ین ہند اکھ رۆحأنی مقام۔ یقینُک انتہا۔ خوداے تعالا دِلہٕ سٟتۍ پزٕ زٕ ناوُنۍ حالتھ۔

حقُن ناس/ہُکلی ناس۔ ا۔ لۆکہٕ ہُند حق۔ لُکن ہُند حق۔ ۲۔ (ورگہٕ) حرام مال۔

حق ادأیی۔ فرض نِکھہٕ والُن۔ یہ پزٕتہٕ کرُن۔ پننٕ ذمہٕ وأری پوٗرٕ کرٕنۍ۔

حق آسُن۔ دعوا آسُن۔ ہختیار آسُن۔

حق بخشُن۔ ا۔ پنُن کانْہہ جاداد بیترِ بیٛیس دِیُن۔ ا۔ زنانہٕ ہُند خاوندس مہرٕ ترٛاوُن۔

حق بجأنب۔ پزٕس پتھ۔ پزٕس پتھ۔

حق پرست۔ یُس پزٕس پتھ پکہِ۔ یُس پوٗز ورتاوِ۔ ۲۔ خوداپرست۔

حق پرستی۔ ا۔ اِنصاف پرستی۔ دادس واتُن ۲۔ خوداپرستی۔

حق تلفی۔ غصب۔ کأنسہٕ ہُند حق کھیوٗن۔ حقدارس نہٕ حق دیُن۔

حق تہٕ پوٗز۔ بلکل صحی۔ یتھ نہٕ آب اَتھ۔ یتھ نہٕ رَژھ تہٕ اَپزٕ آسہِ۔

حقدار۔ یس کینہہ واتہٕ یا واتُن گژھہِ۔ یس حق آسہِ۔ یُس سُند حق آسہِ۔ یمی سنز ملکیتھ آسہِ۔

حقدارِ جنگل۔ جنگلس اندٕ ری پکھی ژون پانژن میلن تام روزن وألی لۆکھ یمن کم مولس جنگلہٕ

مۄژلگر تران آسہٕ۔ رعأیتی مولس پیٹھ وَنہٕ مۄژلگر حاصِل کرن وألی۔

حق ژھارُن۔ پنُن حصہٕ منگُن۔

حق سِر ہو۔ صوفی ین ہُند اکھ وظیفہٕ۔

حق شفہٕ۔ کانٛہہ جاداد مُلی ہینٛگ گوڈنیُک حق۔ لرِلوٗر آسنہٕ کِنی ہمسایہٕ سُند جاداد بیترِ مُلی ہینٛگ حق۔

حق شِناس۔ ۱۔ ییٚمی پزر پزٕ نوومُت آسہِ۔ ییٚمی خوداے پزٕ نوومُت آسہِ۔ ۲۔ اِنصاف پسند۔ اِنصاف کرن وول۔

حق نکھہٕ والُن۔ فرض پوٗرٕ کرُن۔ پنٕنی ذمہٕ وأری نکھہٕ والنی۔

حق نہٕ پاتھہٕ تہٕ ینامہٕ۔ موٗزوٗری نہٕ کُنہٕ تہٕ بخشأیشہٕ ہنٛز کتھ۔ یہ چھہٕ تمہٕ وِزِ ونان ییلہٕ کانٛسہٕ حق تہٕ آسہِ نہٕ تۄرمُت تہٕ لالچ دِنٛچ کتھ یِیہ کرنہٕ۔

حقارتھ۔ م۔ مؤل: حقارت <ع: حقارت: حقر]۔ نفرتھ۔ نیچہٕ نظرِ وچھُن۔

حقأنی۔ ن۔ مؤل: حقأنی <ع: حقانی]۔ یتھ حقس سِتی واٹھ آسہِ۔ یتھ پزرس سِتی تولُق آسہِ۔ ۲۔ خودأیی۔ ۳۔ کأشرِ زبأنی ہُند اکھ مشہوٗر شأیر۔

حقأیق۔ پزر۔ پزٕ کتھہٕ۔ پزٕتی۔ ''حقیقتھ'' لفظُک جمع۔

حق تعالا۔ ن۔ مؤل: حق تعالا <ع: حق تعالیٰ۔]۔ خودا۔ تھوٚد تہٕ بوٚڈ خوداے۔ خودایُس ساری وِے تھوٚد چھُ۔

حق نمک۔ (کانٛسہٕ ہُند کھیٚنہٕ چیٚنہٕ کِنی) اِحسانمنٛد۔

حق نمک گرٛشُن۔ کانٛسہٕ ہُند کھیٚتھ چیٚتھ تمیُک اِحسان روزُن۔

حق ہمساے۔ پنٕنس مکانس، یا حلس بیترِ أندی پکھی روزن وألی۔ محلہٕ بأج۔ محلہٕ وألی۔ پانس ڈیٚچھنی کھوورِ روزن وألی۔

حکاک۔ ن۔ مؤل: حکاک <ع: حکاک = حک]۔ مۄہر۔ واجن بیترِ کرٛانکھ بَرن وول۔

حَل۔ ن۔ مؤل: حَل <ع: حَ]۔ ۱۔ أڈراوُن۔ آبس سِتی رَلاوُن۔ رلہٕ کرُن۔ ۲۔ سوال کڈنُک طریقہٕ۔ سُہ طریقہٕ ییٚمہٕ سِتی صحی جواب نیرِ۔ مشکل دوٗر کرنٕچ وَتھ۔ ۳۔ (کتھِ یا مسلس بیترِ) پھٔٹ کڈنی۔ گینٛڈ کڈنی۔ کانٛہہ سوال بیترِ وبرٕھناوُن۔ مُشکلس آسأنی کرنی۔ مُشکل أنٛزراوُن۔

حلِ مُشکل۔ مشکلس آسأنی۔ مشکلہٕ منٛزٕ نیرنٕچ وَتھ۔

حلف۔ ن۔ مؤل: حلف <ع: حلف۔] قسم۔ دِژِ ے۔ کُنہِ مذہبی کتابہٕ ہُند قسم۔

حلفس پیٚتھ۔ قسم ہأوِتھ۔ قسمَس پیٚتھ۔

حلفَن۔ حلف ہُلتھ۔ قسم کرِتھ۔ تہٕ ڈیٚتھ گو پزٕی پأٹھی۔ پزٕ۔ پزٕی کِنی۔

حلف وفادأری۔ وفادأری کرنہٕ باپتھ قسم، وفادار نیرنہٕ باپتھ قسم۔ سور نیرنہٕ باپتھ واد۔ (خاصکرِتھ حکومتَس)

حلفِیا۔ یہِ چھِ قسمہٕ پٔژھی وونان، تہٕ دٕپتھ گو قسم کٔرتھ چھُسے پوٚز وونان۔

حلفی بیان۔ قسم کٔرتھ دِنہٕ آمُت یا لیکھتھ دیُتمُت بیان۔

حلف تُلُن۔ (کُنہِ مذہٕبی کتابہٕ ہٕنٛد) قسم کرُن۔ مذہٕبی کتابِ یا توٚبرُک ہیٚترِ اَتھس کٔنتھ تُلُن (خاصکٔرِتھ عدالتس منٛز)

حلف تھوٗن۔ قسم تھوٗن۔

حلف دیُن۔ قسم کرناوُن۔

حلف کرُن۔ قسم کھیوٚن۔

حلف نامہٕ۔ کاکذ ہیٚترِ یتھ پٮ۪ٹھ کانٛسہِ ہٕنٛد قسم لیکھتھ آسہِ۔

حلال (حلحال)۔ن۔مؤل: حَلال<ع: حَلال: حَل]۔
ا۔ یتھ نہٕ شریعتہٕ مؤجوٗب کانٛہہ رُکاوٹھ یا ممانعت آسہِ۔ یہِ اسلأمی قونوٗنہٕ کنہِ جأیز آسہِ۔
۲۔ کٔنٛس کوکرس ہیٚترِ تکبیر پٔرتھ کھش۔ ذبح کرِنہٕ متس جانورسٕنٛد ماز۔ ۳۔ جأیز۔ یِہ پزٕ تہٕ۔ پٔزُن حق۔ ۴۔ محنتٕچ کمأے۔

حلالُک، حلحالُک۔ دون بأژن ہٕنٛدِ جأیز نکاحو پتہٕ زامُت اولاد۔

حلال خور۔ پژ ٹیک بتہٕ کھینہٕ وول۔ محنتٕچ مزوٗرۍ کٔرتھ کماوَن وول۔ حلالٕچ کمأے کھینہٕ وول۔

حلال زاد۔ مالس ماجہِ ہٕنٛد جأیز اولاد۔ حلالُک۔

حلال کرُن۔ تکبیر پٔرتھ جانورس کھش کرُن۔ ذبح کرُن۔

حلال کھیوٚن۔ ا۔ تہٕ کھیوٚن یہِ شریعتہٕ تہٕ اخلأقی ضأبطہٕ مؤجوٗب دُرُس آسہِ۔ ۲۔ پننہِ کمایہِ ہٕنٛد کھیوٚن یا خرچاوُن۔ ۳۔ ایماندأری سان پننہِ کأم انٛد واتناوٕنۍ۔ تہٕ کرُن یہِ جأیز آسہِ۔ ۴۔ بے ایمأنی نہٕ کرٕنۍ۔

حلال نمک۔ یُس ادأیی روزِ۔ وفادار۔ یُس نہٕ کٔنتھ پٔتھ دوکھٕ کرِ۔ سُہ موٚہنیوٗ یا مأتحت یُس سورُے۔

حلبی۔ن۔مؤل: حلب<ع: حلبی]۔ موٚٹہِ شیٖشُک اَنہٕ۔

حلقہٕ ا۔ ن۔مؤل: حلق <ع: حلقۃ ]۔ا۔ ہوٚٹ۔ ۲۔ گوبنہٕ یا پتھ ہٮ۪نٛگ سور۔ آواز۔

حلقہٕ بنٛد۔ اکہٕ ہٕنٛڈ وستگ ناو۔

حلقہٕ۲۔ ن۔مؤل: حلق<ع: حلقۃ]۔ا۔ گام یا محلہٕ یتھ اکھ خاص حد مقرر آسہِ۔ أکس خاص حدس تام بٔسۍ تی۔ م: حلقے بسنت باغ۔ ۲۔ کانٛہہ مقصد پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ کُنہِ گُنڈِتھ علاقہٕ کٮ۪ن روزن والین یا کُنہ خاص پیشہٕ کٮ۪ن لوٗکن ہٕنٛز مجلس یا سبھا۔
۳۔ حد۔ حاطہٕ۔ گیر۔ ۴۔ گول۔ کوٚر۔ آر۔ دأیِر۔

حلقے انتخاب۔ ووٹ دِنہٕ والین ہٕنٛد تِنٛد ادوچھتھ بٔدِ کٔڈنہٕ آمُت تیٚوٗت علاقہٕ یُس اسمبلی یا پارلیمنٹہٕ ہیٚترِ خأطرٕ ممبر ژارِ۔

حلقہٕ بٔندی کرٕنۍ۔ ا۔ بٔڈۍ علاقہٕ آبأدی یا روقبہٕ

مطأبق لوکٹبن لوکٹبن ژھسن منٛز بأ گرٕنی یِتھ زَن انتظام چلاوُن سَہل بَنہٕ۔ ۲۔ الیکشنہٕ باپتھ حلقن ہنٛز نشاندہی کرٕنی۔

حلقہٕ دار۔ پٹھوأری۔

حلکأری۔ م۔ مؤل: حلکأری <ع: حل+ ف: کار]۔ ۱۔ مایہ مایہ۔ ۲۔ گوٹہٕ کِنأری۔ ۳۔ تصویرس ہیتھ روپہٕ میلہٕ ستی پوش ہیتھ بناوُنس ونان۔

حلووے (حلوٗأے) ن۔ مؤل: حلواے <ف: حلوایی <ع: حلوا]۔ مٹھأے بناوَن وول۔ مٹھأے ہیتھ بناوان تہٕ کنن وول۔ پأریم دودٕ گوٗر۔

حمل۔ <ع:: حمل: ڈمب بُرژ آسُن۔ ۲۔ شُرِیُس ڈمب آسہٕ شُر۔ یُس ماجہٕ ہنٛدِس شکمس اندر آسہٕ۔

حماقتھ۔ ن۔ مؤل: حماقت <ع: حماقۃ ]۔ چاربر۔ بیوٗقوٗفی۔ بیقلأزی۔ فتارتھ۔

حمال۔ ن۔ مؤل: حمال <ع: حمأیل]۔ کوژھل۔ بور سارن وول۔ (یِژِپأٹھی چھِ گاٹھہٕ پٹھہٕ داں رسد ہیتھ سارن وألس ونان)۔ داں گاٹھک موٗزوٗر۔

حمام۔ ن۔ مؤل۔ حمام <ع: حمام: جمٕ]۔ سو جاے ییٚتہٕ گرم آب سرٛان کرنہٕ خأطرٕ موہیا آسہٕ۔ سُہ کُٹھ ییٚتہٕ پأترٕ وتھرِتھ آسَن تہٕ کجہٕ ستی پأترٕ کھوٕ آب گرم آسہٕ گوٚھان۔

حمام تاوُن۔ حمام کجہٕ زیُٛن لاگُن یِتھ زَن أندرٕ کمرس وُشنیر پھیرِ تہٕ آب تتہٕ۔

حمام گرُن۔ حمامس منٛز ہیتھ گُمہٕ اٚنٛنٛ، سرٛان تہٕ پلٛہٕ کی کرٕنی۔

حمام کجہٕ۔ سو جاے ییٚأری حمام تاونہٕ باپتھ زیُٛن ہیترِ چھِ زالان۔ حمامُک گوٗل۔

حمأمی۔ ن۔ مؤل: حمأم <ع: حَمامی]۔ ۱۔ یُس حمام تاوِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) جی ہوٗضوٗری۔ پتہٕ پتہٕ وایِن وول۔

حمأمی دمأمی۔ واین گاین وألی۔ پتہٕ پتہٕ واین وألی۔ جی ہوٗضوٗری۔

حمأیل شریف۔ ن۔ مؤل: حمأیل شریف <ع: حمأیل =حمل] لوکچہٕ تختی ہُنٛد قرآن شُریف یُس غلاف گرِتھ نألی تہٕ تراونہٕ چھُ یوان۔

حمد۔ ن۔ مؤل: حمد <ع: حمدَ]۔ جأنی گنٛز رٕنی۔ تأریف کرٕنی۔ ثنا۔ خودایہٕ سنٛدی تأریف کرٕنی۔ خودایس کُن شکر کرُن۔ اسَتوتھ۔

حمد پرُن۔ بتہٕ کھینہٕ پتہٕ مسلمانن ہُنٛد اتھٕ تُلِتھ خودایہٕ سُنٛد شکرانہٕ کرُن۔

حَمد کرُن۔ اللّٰہ تعالاسنٛدِ بجرٕ کی تأریف کرٕنی۔ کُنہٕ مشکلہٕ یا مُصیبتہٕ منٛز موکجارلبنہٕ پتہٕ خودایہٕ سُنٛد شکر بجائُن۔

حَمد۔ ثنا۔ شُکر۔ شکر تہٕ تأریف۔

حملہٕ۔ ن۔ مؤل: حمل <ع: حملۃ ]۔ چھِنٛھِ ووتھُن۔ کأنسہٕ برخلاف ہوٗل گنٛڈُن۔ ہلہٕ۔ فوجُک کُنہٕ

ملکس پیٹھ ودِتھ یُن۔ أکس بادشاہ سُند بیٚیس بادشہس پیٹھ وۄتلتھ یُن۔

حملس یُن۔ ضرر واتناونکہٕ نیتہٕ دۄیمس پیٹھ اتھ تُلُن۔ دُشمن سُند وۄتلتھ یُن۔

حملہٕ آور۔ حملہٕ کرَن وول۔ کانٛسہٕ پیٹھ لڑاے کرنہٕ باپتھ وۄتلتھ ینہٕ وول ملکُک دُشمن۔

حملہٕ بر مُلاَزِم۔ کانٛسہِ سرکارٛی ملازمس پیٹھ حملہٕ (یُس قونوٗنن جُرم چھُ)

حملہٕ دَمَل۔ ۱۔ لڑاے تہٕ دبہٕ دَب۔ ۲۔ نیاے تہٕ فساد۔

حملہٕ کرُن۔ ۱۔ مارنہٕ یُن۔ لاینہٕ یُن۔ ۲۔ فوج کشی کرٛنی۔ ۳۔ زبردستی کرٛنی۔ ۴۔ (بیزتی کرنچہِ نیژ) کانٛسہِ متلق ناشایان وَنُن یا کرُن۔

حنبلی۔ مؤل: حنبلی < ع: حنبلی ]۔ حضرت امام حنبلؒ سٕندی پأروکار۔

حنفی۔ مؤل: حنف < ع: حنف ]۔ حضرت امام ابوحنیفہؒ سٕندی پأروکار۔

حوأ۔ م۔ مؤل: حوا < ع: حوا حیو ]۔ عبرانی۔ ] حضرت آدمہٕ سٕنز آشیٚنہٕ۔ سارِنے انسانن ہٕنز مأج۔

حواس۔ ن۔ مؤل: حواس < ع: حواس = حِس ] ''حِس'' لفظُک جمع۔ حِس ہوش۔

حواسِ خمسہٕ۔ ''پانژھ حِس'' پانژھ ئنٛدرے یمو ذرٛیعہ انسان کانٛہہ چیز ژینان، وُچھان، بوزان، ژہان تہٕ گنٛہِ مشک ہوان چھُ۔

حواس باختہٕ گژھُن۔ سوچنُک تہٕ سمجنک اوگ بوگ نہٕ روزُن۔ انا سپرٕ ڈلنہٕ۔ پھلواے گژھُن۔ پانس تام نہٕ روزُن۔

حواس ڈٕلنی۔ مغز نہٕ روزٕنی۔ عناصر نہٕ روزنہٕ۔ دِماغ کأم نہٕ کرُن۔

حواس ڈنجہٕ روزٕنی۔ ہوشس اَند ررُوزُن۔ مغزنہٕ ڈٕلنی۔

حواس نہٕ روزٕنی۔ ڈٕلُن۔ سوچنُک تہٕ سمجھنُک طاقتھ نہٕ روزُن۔

حوالاٹ (حوالاتھ)۔ ن۔ مؤل: حوالات < ع: حوالتہ ]سو جاے ییٚتہٕ کانٛہہ مجرم پیشی تہٕ سزا لگنہٕ برونٛہہ تھونہٕ یوان چھُ۔ تھانہٕ یا چوٗکی بیترٕ ییٚتہٕ کانٛہہ مُجرم چالان سپدنہٕ برونٛہہ نگرأنی منز چھُ یوان تھونہٕ۔

حوالہٕ۔ مؤل: حوال < ع: حوالتہ = حول ]۔ ۱۔ سپرٕدٕ۔ پرٕٛتھِ پیٹھ کانٛسہِ پُشرمُت (کانٛہہ چیز بیترٕ) کانٛسہِ نش امانتھ۔ کانٛسہِ ہٕندِس تحوٗیلس اندر۔ کانٛسہِ اتھ کینہٕ تھوٗتھ۔ ۲۔ پےٚ۔ نیب۔ گنٛہہ کتھِ یا مضموٗنس اندر بییٚہ گنٛہِ چیزٕچ ذِکر۔

حوالے خودا۔ دَلیس پُشرتھ۔ حوالہٕ (حوالہٕ تھوٗن)

حوالہٕ تھوٗن۔ کانٛسہِ نش امانتھ تھوٗن، پرٕٛتھِ پیٹھ' کانٛسہِ اتھِ دِیُن۔

حوالہٕ دَر۔ سُہ یُس کانٛہہ چیز حوالہٕ تھونہٕ ییہ۔ یُس کانٛہہ چیز سپرٕدٕ آسہِ۔

حوالہِ دیُن ۔ مثالہِ پأٹھۍ کُنہِ کتھِ یا مضمونس اندر کُنٛہِک ذکر یا نیب دیُن۔

حوالہِ کرُن ۔ ا۔ پَرٕھ پٔتھ کأنٛسہِ نش کانٛہہ چیز امانتھ تھوُن ۔ ۲۔ واپس دیُن ۔ ہوُرن۔

حوالہِ گژھُن ۔ ا۔ کأنٛسہِ مٔتہِ کھسُن ۔ کأنٛسہِ اتھِ کینٛہ روزُن ۔ ۲۔ (ورگہِ) پتہٕ لگُن ۔ تھٕھ نہٕ ٹٔلُنۍ ۔ پرٕزُن۔

حوالدار ۔ ن ۔ مٔل: حوالدار <ع: حولۃ + ف: دار] فوجس یا پُلسس بیترِ منز اکھ عوہدٕ۔

حوأدِث ۔ مٔل: حوأدِث <ع: حوادِث ] ۔ حأدِثہٕ لفظُک جمع ۔ ا۔ بنأوتھ ۔ کینٛہ بُتھِ یُن یا پیوٚن ۔ ۲۔ دوکھ ۔ مُصیبَتھ۔

حوأری ۔ ن ۔ مٔل: حوار <ع: حواریٚون ۔] ا۔ تِم باہ نفر یِمو حضرت عیسیٰؑ سُند دٖین گوڈنی قبوٗل کوٚر ۔ حضرت عیسیٰؑ سٕندۍ صحأبی ۔ ۲۔ پتہٕ پتہٕ پکن وألی۔

حوأٔلی موأٔلی ۔ مٔل: حوألی موألی <ع: حولۃ ۔ حول] م ہ: حوالی موالی] ا۔ اورِ کِن یورِ کِن لۆکھ ۔ آشنأوۍ مانٛجأرۍ ۔ ۲۔ آنٛز آنٛز کرن وألی ۔ واین وألی۔

حوألی ہتھ ۔ حوألی ہت <ع: حوال ۔ ] توقع پٔژر گوھنُک بُتھ بانہٕ ۔ (کأنٛسہِ ہُنٛد) بوٚر زٕ سہٕ۔

حوألی ہتھ تہٕ داس دار زٕ ۔ کأنٛسہِ نشہٕ کینٛہ ترٛنٛج ذومید ۔ یُتھٕ پأٹھۍ تِمہٕ وِزِ ونان یِلہِ کانٛہہ شخص ہتہٕ مٔتہٕ بیٚیہٕ کأنٛسہِ پٔتھ پَنٕنۍ ٹھینٛٹھ مینٛٹھ خرچاوِ۔

حویل ۔ م ۔ مٔل: حوٚیل <ف: حویلی <ع: حوالۃ ] ۔ مندور، سبٹھا بوٚڈ مکانہٕ ۔ محل، بُڈ شُز۔

حیا ۔ ن ۔ مٔل: حیا <ع: حیا < حیی] ۔ ا۔ منٛدٕ چھ ۔ شرٕم ۔ گال ۔ ۲۔ زِٹھۍ سُند اَدَب ۔ پاس ۔ لحاظٕ۔

حیا بنٛد/حَیا مَنٛد ۔ ا۔ یَس حَیا آسہِ ۔ شرٕمدار ۔ ۲۔ یَس زِٹھۍ سُند اَدَب یا پاس آسہِ۔

حَیا ٹلُن ۔ روب ژٕلراوُن ۔ (ورگہِ پأٹھۍ) گنٛڈ ڈیوٗل ترٛاوُن ۔ کُنہِ قسمٕچ پابنٛدی نہٕ تھاوٕنۍ۔

حیا کرُن ۔ ا۔ پرٕد کرُن ۔ ۲۔ پاس ووٗچھُن ۔ لحاظٕ بوزُن۔

حیا گژھُن ۔ زِٹھۍ سُند پاس گژھُن ۔ منٛدٕچھُن (کأنٛسہِ زِٹھس بیترِ) لحاظٕ گژھُن۔

حیا وَوتھُن ۔ ا۔ بےٚ ہیم گژھُن ۔ زِٹھۍ سُند اَدَب یا پاس نہٕ روزُن ۔ ۲۔ بےٚ شرٕم بنُن ۔ بُتھِ پٔٹھٕ ووتھُن ۔ اَچھن اندر نہٕ آب روزُن۔

حیا ویوٚت ۔ وُچھو "حیا بنٛد"

حیات ۔ م ۔ مٔل: حیات <ع: حیات: حیی] ا۔ وُمرٕ ۔ وأنسٕ ۔ زِنٛدگی ۔ زِنٛدٕ آسنُک کال ۔ یِتھٕس کالس کانٛہہ زِنٛدٕ روزِ ۔ ۲۔ زُو ۔ زِنٛدٕ آسنٕچ حالتھ ۔ زُو ذأژ اَنٛدَر حرکتھ کرنُک تہٕ پانس منٛز تبدیلی انہٕ نٕک سہٕ قوتھ یِمہٕ کِنۍ زِنٛدَس تہٕ موردس یا جانٛدارس تہٕ بےٚ جانس پانہٕ وأنۍ فرق لبنہٕ یوان چھےٚ ۔ ۳۔ زِنٛدٕ ۔ یُس نہٕ مۆدمت آسہِ۔

حیات آسُن ۔ ا۔ زِنٛدٕ آسُن ۔ زِنٛدٕ زُو آسُن ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) مرنہٕ پتہٕ تہٕ دُنۍ یہس ستی واتھ روزُن ۔

حیاتی ۔ زِنٛدٕ گأنی ۔ زِنٛدٕ زُو ۔ پأنۍ پانے ۔

حیاتِ نبی ۔ مؤل: حاتن نبی <ع: حیاۃ النبیؐ] ۔ ا۔ نبی صأب یُس حیات چھُ ۔ ۲۔ نبی صأبنٛز سوانح حیات ۔

حیوان ۔ ن ۔ مؤل: حیوان <ع: حیوان = حیی ] ا۔ جاندار ۔ زُو ذأژ ۔ ۲۔ انسانس ورأے باقٕے حرکتھ کرن واجنہٕ زُو ذأژ ۔ یُتھٕ پأٹھۍ پوٗش گُپن تہٕ چاروو بیترٕ ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) چور ۔ بیقل ۔ مُڈٕ ۔ پوٗش ۔

حیوأنِل ۔ پٔش گی ۔ (ورگہٕ) بزِلیش ۔

حیوأنیت ۔ پٔش گی ۔ حیوانہٕ سُند ہیؤہ ورتاو، تہٕ ڈُپتھ گوخؤں خأری ۔ خون ریزی ۔

حاتم ۔ ن ۔ مؤل: حاتم <ع: حاتم = حتم ] ۔ ا۔ عربکہٕ طایی قبیلُک اکھ سردار یُس لۄکن اتھٕ روٗٹ کرنہٕ موکھٕ سبٹھا مشہوٗر اوس ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سُہ یُس اتھٕ وۄتھ آسہٕ ۔ سخاوتھ کرن وول ۔

حاتمُن طے کرُن ۔ (ہزلہٕ پأٹھۍ) سوچھ کرُن ۔ بڈ کأم نکھٕ والنۍ ۔

حاجتھ ۔ ن ۔ مؤل: حاجت <ع: حاجۃ = حوج ] ا۔ سخ ضوٗرُتھ ۔ مجبوٗری ۔ وبژھے یا طلب ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) نبر نیرنُک ضوٗرُتھ ۔ ادرار ۔ بیترٕ کرنُک طلب ۔

حاجتھ بَند (حاجتھ منٛد) ۔ موحتاج ۔ یُس حاجتھ آسہٕ ۔ یُس کُنہٕ چیزُک ضوٗرُتھ آسہٕ ۔ یَس کانٛہہ چیز بکار آسہٕ ۔ یُس کُنٛچھ وبژھے آسہٕ ۔

حاجتھ پیوٗن ۔ ضوٗرُتھ باسُن ۔ وبژھے موٗحسوٗس سپدٕنۍ ۔ منگنہٕ مازنہٕ گژھُن ۔

حاجتھ روا ۔ حاجتھ کڈُن وول ۔ کأنٛسہٕ ہُنٛد حاجتھ پوٗرٕ کرُن وول ۔

حاجتھ روأیی ۔ حاجتھ کڈُن ۔ کأنٛسہٕ ہُنٛد حاجتھ پوٗرٕ کرُن ۔

حاجتس بہُن ۔ نیرُن ۔ ٹٔچہٕ نیرُن ۔ ادرار گرُن ۔ مُیوٗ ہیٛنۍ ۔ مأدان نیرُن ۔

حاجتس گژھُن ۔ ٹٔچہٕ گژھُن ۔ نبر نیرُن ۔

حاجت بشر ۔ (حاجت بشری) ۔ زل مَل ۔ ادرار ۔

حاشا کلا ۔ ا۔ مؤل ۔ حاشا کلا ۔ <ع: حاشا و کلا] ۔ خودا ے رٔچھِن ۔ دَے رٔچھِن ۔ وونہٕ زاہ ۔ کُنہٕ کتھِ پٹھ نوز دِنہٕ خأطرٕ یا نکار کرنہٕ باپتھ ونان ۔ ہرگز نہٕ ۔ زٕہنٛز نہٕ ۔

حاطہٕ ۔ ن ۔ مؤل: حاطہ <ع: اِحاطہ = حوط] م، ہ: حاط] گُنٛڈتھ آنگن یا مأدان بیترٕ گُنٛڈتھ زٔمین ۔

حافظ ۔ ن ۔ مؤل: حافِظ <ع: حافِظ ۔ حفظ] ۔ یُس کلام اللہ زبأنی یاد آسہٕ ۔ م: حافظِ قرآن ۔

حال ۔ ن ۔ مؤل: حال <ع: حال ۔ ] ۔ ا۔ اوحال ۔

گدرُن۔ پانس پیٹھ گدریوُمُت یُس بیئِس پیہ باونہٕ۔۲۔حالتھ۔ وَنن۔ وَشا۔ گتھ۔ کُنہٕ کینٛہہ بنہٕ پٕچ یا آسنٕچ چال یاتڑ اے۔۳۔ازکال۔ اُزیُک وَق۔زمانہٕ یُس گدران آسہِ۔ مۆجۆدٕ زمانہٕ۔۴۔تام۔تامتھ۔فِل حال۔

حالِ بَدِ گژھُن۔خراب حالتھ گژھنی۔

حالِ حٲران۔۱۔پراکنٕد۔پریشان۔بتنگ آمُت۔ ہہنہٕ آمُت۔۲۔وَنہِ راوُل۔آوارٕ۔دربدَر۔

حالِ دِل وَنُن۔یہ انسانس گدریوُمُت آسہِ تمیُک اظہار کرُن۔پنٕنی دٲدٕ باوٕنی۔

حال باوُن۔یہ کینٛژھا گدریوُمُت آسہِ تہٕ بیئِس وَنُن۔پانس پیٹھ گدریوُمُت کانٛسہِ وَنُن۔

حال حالےٚ۔یتھ نہٕ وُنہِ زیادٕ وَق گوُمُت آسہِ۔ اُزی اُزی۔کٔمے کالہٕ پیٹھہٕ۔یمنیٚ دوہن ہیُٚو۔

حال حٲلی کرُن۔پانس پیٹھ گدریوُمُت بیئِس وَنُن۔حال باوُن۔

حال روشن آسُن۔حالٕژ ہُند پتاہ آسُن۔اصلی حالاتو نشہِ واقف آسُن۔

حال گژھُن۔خراب حالتھ گژھنی۔حالِ بَدِ گژھُن۔ تیٚوٗت تھکُن زِ تھوٚدوٗ تھنس سۆمب روزِنہٕ ہیکتھ۔

حال متہٕ پژٕ ژھتم رو یہ سےٚ وِچھتم۔کانٛسہِ ہُنٛد گدرُن چھُوتس بُتھِ پیٹھے نتان۔بُتھ چھُ اُندریم حال پانے باوان۔

حال ہوش نہٕ روزُن۔غش یُن۔مُرژھا گژھنی۔ لوٗستھ پیوٚن۔پننہِ پانہٕ نشہِ بےٚ خبر گژھُن۔

حالتھ۔م۔مۆل: حالت <ع: حالة] ۔۱۔وَنن۔کُنہٕ یا کانٛسہِ کینٛہہ آسنٕچ یابنہٕ پٕچ چال یاتڑ اے۔وشا۔ گتھ۔۲۔بٕنتھ یُن۔بناوتھ۔۳۔بدحٲلی۔خرٲبی (گاٹٕژ) مِ بتس اُس حالتھ گاٹٕژ۔

حالےٚ حیات۔مۆل: حالےٚ حیات <ع: حال + حیاۃ] زِندٕ زُو۔یُس وُنہِ زِندٕ ے آسہِ۔

حالاتھ۔ن۔مۆل: حالات <ع: حالات ]۔حالتھ۔ لفظُک جمع۔اوحال۔حال۔

حالانکہٕ۔مۆل: حالانکہِ <ع: حال+ ف: آنکہِ]۔ توتہٕ۔تہٕ اُستھ تہٕ۔تہٕ کُرِتھ تہٕ۔تمہِ باوۆجۆد۔

حُبیب۔ن۔مۆل: حُبیب <ع: حبیب۔حُب]۱۔ٹوٗٹھ۔ ۲۔یار۔دوس۔

حُبیب خودا/حبیب اللہ۔ خودایہِ سُند ٹوٗٹھ۔ حضرت محمدؐ صٲبُن لقب۔

حُثیتھ۔م۔مۆل: حُثیت <ع: حیثیۃ۔حیث]۱۔آسُن مال دولتھ۔جاداد۔۲۔طاقتھ۔مقدوٗر۔۳۔درجہ۔

حُدیث۔ن۔مۆل: حُدیث <ع: حَدیث = حَدث] سوکتھ یوسہ حضرتِ محمدؐ صٲبن فرمٲو۔

حُریر۔ن۔مۆل: حُریر <ع: حَریرۃ]۔چھوکہٕ کاکد۔ (یتھ کانٛژہ بیارِ بیترٕ بناوان چھِ)

حُریف۔یُس مقابلس آسہِ۔یس ستی بُتھی لاگے آسہِ۔

حُرفہٕ ۔ زٲرِس یُس مقابلہٕ رٕنٛدِ ۔
حُسین ۔مؤل: حُسیٖن <ع: حُسین] سوندر۔ شٔکیل ۔ نُنٛدٕ بون۔
خوٗبصوٗرتھ ۔یس یا یتھ حُسن آسہِ ۔ خوش بوٗن۔
حَسرَتھ۔ ن ۔مؤل: حسرت۔ <ع: حسرۃ = حَسر ] ۔
ا۔افسوٗس۔ ( گُنہٕ باپتھ ) پھیرُن ۔۲۔حاراَنی۔
راوُن ہیوٚ ۔۳۔شَر۔ کھرٕ وو۔ ارمان۔ گُنہٕ باپتھ
کرٕیشُن۔
حَسرتھ روزُن۔ شَر روزُن ۔ ارمان روزُن ۔ آش
نہٕ پوٗرٕ گژھنۍ۔
حَسرَتھ کھیوٚن ۔ا۔ افسوٗس کرُن ۔ گُنہٕ باپتھ پھیرُن ۔
۲۔حاران گژھُن ۔ راوُن ہیوٚ ۔بڑٕ عجیب باسُن ۔
غوطن گژھُن ۔ کانٛہہ کتھ سبٹھاہ یتھ باسنۍ۔
حَسرتھ ونۍ ۔ پنٕن گدرُن تمہِ چالہٕ وَنُن زِ بوزُن وول
کھٔییہِ حارٔتھ ۔غوطن ۔
حُفیظ ۔ن ۔مؤل: حُفیٖظ <ع: حَفیظ ] ( ل ۔م ) رٲچھدَر ۔
رٲچھراوٕتھ کرن وول ۔ خودایہِ سُند اکھ صفتی ناو۔
حُقیقتھ ۔م ۔مؤل: حُقیقتھ ۔ <ع: حَقیقۃ ۔ حق ] اژٕ کہٕ۔
مِلکیتھ ۔ وراثتھ ۔ زمین جاداد بیترِ یتھ پٮ۪ٹھ
کانٛسہِ دعوا آسہِ ۔حصہٕ رَسہِ ۔
حُقیر ۔ ن ۔مؤل: حقیر <ع: حقیر۔ حقر ] ا۔ وُنٛز پایہٕ ۔
ادنا۔ یس نہٕ کانٛہہ وُقعت آسہِ ۔ یُس نہٕ گُنہٕ
مجراہس آسہِ ۔۲۔ ذٔلیل ۔یس نہ کانٛہہ قدٕر آسہِ ۔
حُقیقتھ ۔م ۔مؤل: حُقیقت <ع: حقیقۃ = حق ] ۔ا۔ پزَر ۔

اصلیتھ ۔۲۔مؤلہ تلٕج ( کتھ بیترٕ ) ۔ اصلی ماملہٕ ۔
اصل حال ۔۳۔صوٗفی ین ہُنٛد اکھ روٗحانی مقام ۔
حُقیقتن ۔ دراصل ۔ پزِ کٔنۍ ۔ پزٕ تلہٕ ۔
حُقیقتھ شناس ۔ یس پزَر پزٕ ناوُن تگہِ ۔ کتھِ ژٕکس
تل واتن وول ۔
حُقیقتھ نگاری ۔ ادبس تہٕ آرٹس منٛز اکھ نٔظریہٕ ییمہِ مؤجوٗب
ادب تہٕ آرٹ زندگی ہُنٛد پرتو ماننہٕ چھُ یوان ۔
حُقیقی ۔ ن ۔مؤل: حُقیقی ۔ <ع: حَقیقی ] اصلی ۔ شُد ۔
یتھ نہٕ کھوٚچر آسہِ ۔
حُکیم ۔ ن ۔مؤل: حُکیم <ع: حکیم ۔ حَکم ] یوٗنانی طرٖیقس
پٮ۪ٹھ یلاج کرن وول ۔ یُس بمارس شیرٕ شرٖبٕژ
ستۍ یلاج آسہِ کران ۔
حٔکیمس تہٕ حاکمس نشہِ نجاتھ ۔ ( اٰہی پزٕھی )
بمار بوتہٕ مقدمہٕ بازی پونشہِ گژھ دَرے رٔچھن
حٔکیم حاذق ۔ا۔ تجرٕبہٕ کار حکیم ، زانن وول حٔکیم ۔
۲۔ ( وِرگہٕ پاٹھی ) خودا ے ۔
حٔکیم وانن لٔگن ۔ بمارٕ کٔنۍ سبٹھاہے گیر گژھُن ۔
حٔلیم ۔مؤل: حٔلیم <ع: حَلیم ۔ حلم ] نرم مزاز ۔ یس نہٕ
مزاز کٔنۍ تیز وشر آسہِ ۔
حٔلیمی ۔ نرمی ( مزاز کٔنۍ )
حٔلوٕ/حَلوٕ ۔ ن ۔مؤل: حَلو <ع: حَلوا=حَلو ] ۔ا۔ وُگر
چالہِ اکہِ قسمٕچ مٹھاے یوسہٕ سوٗجہٕ ، گاز رٕبن یا
اٹس بیترِ گوٗس پٮ۪ٹھ تلتھ چھِ بناوان ۔

٢۔(ورگہ پأٹھی) ٹھیکھ پأٹھی سیٖنیومُت۔ یتھ
پھُتہٕ پھُتہٕ گومُت آسہِ۔ سبٕنہٕ تلہٕ نرٛم۔

ٹھلوٕ گرٛزھُن۔ ڈٕلی ڈٕلی سپُن گلتھ گژھُن۔ بڑس گژھُنۍ۔

حأج۔ ن۔ مؤل: حأج <ع: حاجّ =حَجّ]۔ یٔمۍ حج کوٚرمُت آسہِ۔ یٔمۍ خانہ کعبچ زیارتھ کٔرمٕژ آسہِ۔
م: حأج باے۔

حأدر/حیدر۔ ن۔ مؤل: حأدر <ع: حَیدَر۔ حَدر]۔ (ل۔م) بادر ہیہ۔ حضرت علیؑ سُند لقب۔

حأدر مٔلِک/ حیدر مٔلِک۔ کٔشیرِ ہُند اکھ مورِخ یٔمۍ جہانگیرنہٕ وقتہٕ کٔشیرِ ہُند تواریخ فارسی پأٹھی لیوٗکھ۔

حأدثہٕ۔ ن۔ مؤل: حأدث <ع: حادِثۃ =حدث]۔ بناوتھ۔ وأری داتھ۔ کانٛہہ مصیبتھ یا نوقصان۔
یہ کینٛژھا ہانٛگہٕ تہٕ منٛگہٕ گدریتھ ییہ۔

حأدثہٕ پیوٚن۔ بناوتھ یُن۔ وأری داتھ گژھُن۔

حأدثہٕ گژھُن۔ ١۔ کانٛہہ مُصیبتھ یُن۔ کُنہِ مشکلس منٛز آدرنہٕ یُن۔ ٢۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کانٛہہ خطرٕ پأدٕ سپدُن۔

حأذِق۔ مأہر (خاصکرٕتھ حکمتس منٛز)

حأرتھ۔ ن۔ مؤل: حأرت <ع: حیرۃ =حیر]۔ انسانہٕ سنٛز سو دِماغی کیفیتھ یوسہٕ تس کانٛہہ نُو یا نا ممکن کتھ وُچھتھ چھےٚ گوڈان تہٕ یتھ اندر سہ وُچھوُنے چھُ روزان تہٕ زٕنہِ نہٕ کٔہنہٕ تہٕ وٕنتھ ہیکان چھُ۔

حأرتھ کھیوٚن۔ حأران گژھُن۔ راوُن، رٔوٕ زِتھ ہیوٗ گژھُن۔

حأرتن پیوٚن۔ راوُن، ہےٚ بنٛگہٕ گژھُن۔ کینٛہہ سوٗچُن نہٕ تگُن۔ موکلن پاے نہٕ لبنہٕ یُن۔

حأران۔ مؤل: حأران <ع: حیران۔ حیر]١۔ ہےٚ بنٛگہٕ۔ رووُمُت ہیوٗ۔ بدحواس۔ ٢۔ پریشان۔ پراگنٛدٕ

حأرأنی۔ ١۔ حأران گژھنٕچ حالتھ۔ ہےٚ بنٛگہٕ گژھُن۔ راوُن۔ رٔوٕ زِتھ ہیوٗ گژھُن۔ ٢۔ پریشأنی۔ پراگنٛدی۔

حأری ثاتھ۔ ن۔ مؤل: حأری ثات <ع: حادِثات]۔ سبٹھا بناوتھ، مُصیبتھ، دوکھ۔

حأری ثاتن آسُن۔ سوٗنچس منٛز سٔتُن۔ پریشأنی سببہٕ راوُن۔ أنٛدرۍ أنٛدرۍ کیاہتام سوٗنچان روزُن تہٕ آرٕ کوٚت ہیوٗ گژھُن۔

حأری ثاتھ تہٕ وأری داتھ۔ بٔنُن تہٕ گدرُن۔ دوکھس پتھ دوکھ۔ دٔبس پتھ دٕرٛس۔

حأری ثاتھ گژھنۍ۔ بناوتھ یُن۔ مصیبتھ پیوٚن۔ دوکھ تہٕ دأدۍ للہٕ ناوٕنۍ پیٚنۍ۔ وکانہٕ گژھُن۔ بیتہٕ یُن۔

حأری ثاتھ وٕتنۍ۔ پٔتِن گدرُن بیٚین وٕنُن۔

حأسِد۔ مؤل: حأسِد <: حَسَد]۔ بَدخاہ۔ أزرِونۍ لد۔ یُس نہٕ کأنٛسہٕ ہُنٛد خوش ییہ۔

حأشیہِ۔ ن۔ مؤل: حأشی <ع: حاشیۃ۔ حشی]١۔ أنٛزول۔ ٢۔ ڈش۔ کنأری (کُنہِ پلوٕچ)۔ ٣۔ کاکذ ورقُک یا کِتابہِ ہیترِ أنٛدن ہُنٛد سہ ہِصہٕ یُس لیکھنٕ

وزِ خاکی چھُ تڑ اونہٕ یوان۔

حائشیہ کڈُن ۔اٹزُل کڈُن ۔دوتہٕ یا بیہ کُنہ پلوس اندامس ہرٕ تہٕ ستیٚ ٹوپہ کڈُنہٕ ۔سوزٕنی ۔ٹوپہٕ دامنٕس اَلفِ دِنی ۔

حاصِل ۔مؤل:حاصل ح ع: حاصل ۔حصل]۔فائِد ۔کیٚنہہ اَتھس اَندر (یُن )۔وصوٗل سپدُن ۔اتھِ آمُت ۔ یہٕ پانس نش ولتہٕ ۔یہٕ بڑ وٕنہہ کُن ولتہٕ ۔ووتمُت ۔ ۲۔باقے ۔پتھ کُن وڑاٹمُت ( تقسیم کرِتھ )۔پتھ کُن بچومُت ہر یومُت ۔۳۔پھل ۔نتیجہ ۔ثمر ۔

حاصِلس پڑ اُرُن ۔۱۔کمأے کرِتھ کمایہٕ ہُند پھل اَتھِ یِنس گوس پروزُن ۔۲۔کُنہ کامہٕ مُتلق انجامس نظرِ روزُن ۔نتیجس پڑاُرُن ۔

حاصِل کرُن ۔اَتھِ اَنُن ۔کانٛسہٕ ہتھ یا کُنہ جایہٕ پیٹھٕ تُلِتھ پانس نش تھاوُن ۔زیٚنُن ۔

حاصِل یُن ۔پتھ کُن نیرُن ۔ہرُن ۲۔اتھِ یُن فائِد یُن ۔

حاصِل کلام ۔ژھوٗٹ پأٹھی ( کتھِ ہُند ) مطلب ۔

حاصِل مصدر ۔گرٛامرس منٛز مصدر ربچ لفظچ اَکھ صوٗرتھ ۔

حاصِلِ مُشاعِرہ ۔غزل یا بأتھ ییتھ یُس مُشاعِرس منٛز سرٛس نیرِ ۔

حائض ۔ن ۔مؤل:حائض ح ع: حیض]۔ماہوأری ۔زنانہٕ رنٛگ ۔زنانہٕ دود (یتھ اَندر رگنٛڈتی پأٹھی رتہٕ پتہٕ بچہٕ دانہٕ منٛز خوٗن چھُ نیران )۔

حاضِر ۔مؤل:حاضِر ح ع: نظرِ تل ۔دیٖد مان ۔بڑ وٕنہہ کُنہ موٗجوٗد ۔۲۔تیار ۔کُنہ اِستیمالس لایق یا کُنہ کامہٕ بیترِ باپتھ سَکھر تھ ۔

حاضِرس بوگ تہٕ نہ حاضِرس چھا تھ ۔تہٕ ذٕ پتھ گو یُس بڑ وٕنہہ کُنہ آسہِ تسی چھُ سوٗرے بنان ،پتہٕ کُنہ چھُ اِنسان مشرٕنس ستیٚ گژھان ۔

حاضِر خدمتھ ۔خکمس گلہٕ دأرِتھ ۔کامہٕ بیترِ باپتھ تیار

حاضِر تہٕ ناظِر ۔بڑوٕنٛھ کُنہ تہٕ تہٕ وُچھوٗن تہٕ ۔یُس بڑوٕنہہ کُنہ وُچھان آسہِ ۔خُدایہ تعالاہُندی صِفأژ ناو ۔

حاضِر جواب ۔۱۔یُس تہٕ جوابس بنٛد گژھہِ ۔یُس کُنہ کتھ بیترِ اَتھہِ پیٹھی جواب دِیہ ۔یُس کُنہ سوالس یکدم جواب دِیہ ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی ) تزٕک ۔چالاک ۔ذٕہین ۔ہُشیار ۔

حاضِر روزُن ۔۱۔بڑ وٕنہہ کُنہ روزُن (کُنہ کامہ باپتھ ) ۲۔اور یور نہٕ روزُن ۔۳۔سکھر تھ روزُن ۔تیار روزُن ۔

حاضِر ضامِن ۔سُہ شخص یُس منٛز اَژِ ۔(ورگہٕ ) نٕکی بہانہٕ خاطرِ ہاوُن کیُت بیترِ ۔

حاضِر کرُن ۔بڑوٕنہہ کُن اَنُن ۔واتناوُن ۔پیش کرُن ۔

حاضِر گژھُن ۔ابروٕنٛھ کُن وأتتھ پیوٚن ۔۲۔عدالتہٕ منٛز مُقدمہٕ چہِ پأروی باپتھ موٗجوٗد دروزُن ۔

حاضِری ۔م ۔مؤل:حاضِری ح ع/ف: حاضری ۔حضر]۔ ۱۔( کُنہ جایہٕ ) حاضِر سپدُن یا آسُن ۔۲۔( کُنہ جایہٕ ) حاضِر آسنُک یقرار یا پڑژھش ۔مُلازٕ

مہِ بیترِ سُند دَفترَس منٛز کامہِ پٮ۪ٹھ آسنہٕ موکھہٕ رَجسٹری پٮ۪ٹھ دسخط یا اِندراج۔۳۔اَڈ کوج۔صُبحک کانٛہہ ہلکہٕ غذا۔۴۔قہو یا ٹلِتھ کرٕہنہٕ ماز یُس ختم پرَن وأنٛلِس ختمَس دوران سوزنہٕ یِیہِ۔۵۔جِنسہٕ یا نقدِ رَنٛگی کانٛہہ توشہٕ یُس نِشانہٕ دوہہٕ تہٕ کھاندرَس پٮ۪ٹھ سونٛبن سوزان چھ یا یِیہِ گُنہٕ دوہہٕ سونٛبن ہِندِ طرفہٕ پنہٕ وأنٛلِس کانٛسہٕ نفرَس واپس نیرَن وِزِ ستۍ دِنہٕ یِیہِ۔نذرونیاز۔

حاضِری تھوٚنۍ۔کانٛسہٕ ہُنٛد گُنہٕ جایہِ کامہِ پٮ۪ٹھ موجوٗد آسنک حِساب تھاوُن۔(دِنۍ۔گرٕنۍ)۔ کانٛہہ حاجت نیرنہٕ باپتھ لوٗکن منٛز ژوٗٹ بیترِ بأگراوِنۍ نیاز تھاوُن۔

حأف۔ن۔مؤل:حأف <ع:حیف]۔۱۔افسوٗس۔پی پزِیا (گُنہٕ چیزَس پٮ۪ٹھ افسوٗس کرَن وِزِ ونان) وائے افسوٗس۔۲۔عأب۔مَنٛدٕ چھ۔خجالت۔ گُنہٕ چیزَس پٮ۪ٹھ بے زار گژھتھ ونان۔مِ:گوڈٕ گوٗیہِ تَس کٔیت حأف۔

حأفِظ۱۔ن۔مؤل:حأفِظ <ع:حافظ=حِفظ]۱۔رأچھ۔ بَلایوٚ ونشہٕ رٔچھن وول۔حِفاظتھ کرَن وول۔ رأچھ راوٗٹھ کرَن وول۔خودایہِ سُند اَکھ صِفتی ناو۔۲۔یَس کلام اللہ زبأنی یاد آسہِ۔۳۔(وَرگہٕ) لوٗن۔اعما۔

حأفِظ۲۔پیشہٕ وَرنٛوَن تہٕ گیوٚن واجنیٚ۔گیتہٕ رینٛۍ۔

حأفِظہٕ۔م۔مؤل:حأفِظہٕ <ع:حافِظَۃ]۔یاداش۔ ژینَس آسنک طاقتھ۔

حأکِم۔ن۔مؤل:حأکِم <ع:حاکم=حکم]۔۱۔حُکوٗمتھ کرَن وول۔مُلکُک زیٹھ۔۲۔حُکم دِنہٕ وول۔ آغہٕ۔مألکھ۔یختیارٕ وول۔اَفسر۔

حأکِمی۔۱۔حأکِمہٕ سنٛز کأم۔حُکوٗمتھ۔۲۔یختیار۔

حأکِمہِ اعلا۔۱۔سارِوٕے کھوتہٕ تھوٚد حأکِم۔تہٕ ڈیٚپٹھ گوٚنوداے۔۲۔بوٚڈ حأکِم۔بوٚڈ اَفسَر۔گورنَر۔

حأکِمہِ بالا۔پٮ۪ٹھ کنیک حأکِم۔ہیرِیم اَفسَر۔

حأکِمِ وَقت۔وَقتُک حأکِم۔وَقتُک یختیارٕ وول۔ تمہِ وَقتُک حأکِم ییمُک ذِکرِ چلان آسہِ۔

حأمِلِ وَحے۔ن۔مؤل:حأمِل وُحی <ع:حامِل وَحی]۔وَحے واتناوَن وول۔حضرتِ جبرئیل سُند لقب۔

حأوی۔ن۔مؤل:حأوی <ع:حاوی:حوی]۱۔غألِب۔ کانٛسہٕ یا گُنہٕ پٮ۪ٹھی آسُن۔سَرَس آسُن۔۲۔لاگوٗ آسُن۔

حأیِل۔مؤل:حأیِل <ع:حایِل=حول]۔رٔٹھ۔روٗٹھ۔ ٹھرِ۔بُتھِ۔ییمِیک روٗٹھ آسہِ۔

حِجاب۔ن۔مؤل:حِجاب <ع:حِجاب=حجب]۱۔پَردٕ۔ ٹھوٚر۔۲۔شرٕم۔حَیا۔

حُجاز۔ن۔مؤل:حجاز <ع:حِجاز:حجز]۱۔کأشرِ صوٗفیانہٕ موٗسیقی منٛز اَکھ مقام۔۲۔مُلکِ عربُک اَکھ صوٗبہٕ یتھ منٛز مکہ تہٕ مدینہٕ شریف آباد چھِ۔

حِدَتھ۔م۔مؤل۔حِدت <ع:حِدۃ=حدّ]۱۔تیٚزر۔

گرمی۔۲۔ترٛوشر۔تیزی (خاصکرِتھ سرکٕچ یا شرابٕچ ہیتھ)۔

حرا۔ن۔مؤل:حرا<ع:حرا]۔مکہٕ شریفس نکھہٕ اکہ بالہٕ گوپھہٕ ہُند ناو یتھ منٛز حضرتِ محمدؐ صأبن نبوت رٹنہٕ برٛونٹھہ کینٛژن دوہَن عبادتھ کرٕتہٕ ییٚتہٕ قرآنِ شریفکۍ گوڈنکۍ آیہ نازِل سپدی۔

حراستھ۔مؤل:حراست<ع:حراسۃ=حرس] نظر بندی۔ جیل۔قأد۔پُلسہٕ گاردس تل۔

حرص۔ن۔مؤل:حرص<ع:حرص]لوٗب۔طمع۔لالچ۔ہوٚس۔

حرفتھ۔م۔مؤل:حرفت<ع:حرفۃ] کارگیب۔ہونر۔اتھٕ کأم۔

حِساب۔ن۔مؤل:حساب <ع:حساب=حسب ]
ا۔گرٛنٛد کرنک علم۔گرٛینٛدِ ہُند علم۔شُمار۔گنٛزرُن۔۲۔بوزشوز۔۳۔خرچٕک یا آمدٔنی ہُند شُمار۔۴۔عملن ہُند جزا یا سزا۔یُس ژھتھ ہیوٚن (کرتوتَن ہیتھ)۔۵۔لین دین۔ہیوٚن دِیُن۔۶۔قأیِد۔طریقہٕ۔وٗطیر۔چال۔طور طرٕز۔۷۔ترتیب۔۸۔بل۔کامہٕ کارُک یا مٕلی ہیٚتۍ ہتٕھن چیزٕن ہیتھ ہُند شُمار تہٕ نرٕخ۔دارٕ ہورٕ ہُند شُمار۔دارٕ ہورٕ وُچھنٕی۔

حسابَس آسُن۔گرٛنٛز یا شُمارَس آسُن۔مُجراہ آسُن۔

حِسابَس چارُن/کھارُن۔وِوزُم۔وِورُد ہیتھ ہی پیٹھ درج کرُن۔

حِسابَس گنٛڈُن۔۱۔کھاتَس ترٛاوُن۔بِلہٕ منٛز شأمل کرُن۔۲۔کُنہ تِتھ چیزَس مول کھارُن یُس نہٕ وأرٕی مُفتٕے زومت آسہٕ ہے۔۳۔شُمارَس اَنُن۔

حِسابَس منٛز آسُن۔۱۔(ورگہٕ) ڈنٛجہٕ آسُن۔۲۔مست آسُن۔

حِسابَس واتُن۔۱۔سارٕی خبر آسٕنۍ۔کُنہٕ کتھِ سنٛبومت آسُن۔۲۔خرچَس برچَس سام ہیٚنۍ۔احتیاط سان خرچ کرُن۔فضوٗل نہٕ خرچ کرُن۔۳۔کُنہٕ کتھِ ہِندِس مانہٕ مطلبَس واتُن۔

حِسابہٕ حسابہٕ۔۱۔قأیِد موٗجوٗب۔طریقہٕ سان۔ترتیب وار۔نرٕی کُھری پأٹھی نہٕ۔۲۔وتہٕ وتہٕ۔یی پزٕتہٕ تی۔وُچاپہٕ پأٹھی کرنہٕ۔

حِسابہٕ سان۔طریقہٕ سان۔ترتیب وار۔ہُش مُش پأٹھی کرنہٕ۔

حِساب بوزُن۔۱۔نرٕخ ہیتھ بوٗژتھ چیزٕن ہیتھ ہُند مول گنٛڈُن۔خرچَس یا نرخس ہیتھ شُمار کرُن۔گنٛزرُن۔۲۔بوزشوز کرٕنی۔

حِساب بے باق کرُن۔۱۔دارٕ ہور موکلاوٕنی۔۲۔کتھ ژٕٹنۍ۔جگر موکلاوُن۔

حِساب تھوٗن۔آمدٔنی تہٕ خرچٕک شُمار تھوٗن۔دارٕ ہورٕ ہُند شُمار تھوٗن۔

حِساب چُکاوُن۔قرض نکھہٕ ولُن۔داس دارٕ زخم

گرٕنی ۔ دارٕ ہورموکلاوٕنی ۔

حِساب چھُ ماٲلِس تہٕ گوٗبَرس ۔ ہنٛبس دِنٛس یا دارٕ
ہورِمنٛز چھنہٕ لحاظ یا مایے محبتھ چلان ۔

حِساب چھُ ہارِ تہٕ بخشأیِس چھےٚ خروارٕ ۔ یہ چھُ
تمہٕ وِزِ وَننہٕ یِوان ییلہِ زَن زٕ ژٕنی پانہٕ وأنی نألی
نال یا نگھ پھیٚکی آسَن تہٕ اُتی ہہن خرچس
برٕچس مُتلِق پانہٕ وأنی حساب کرنہٕ ۔ حساب
گوھِ روزُن پہٕنتہٕ پہٕنتہٕ دوٗر ۔ حسابہٕ نبر یوٗتاہ
بَخشاونہٕ یِیہ تتھ چھاٹھاکھ ۔

حِساب دان ۔ یُس حساب بوزُنس ماہِر آسہِ ۔ یُس
حِساب بوزُن ٹھیکھ پأٹھی آسہ تگان ۔ عِلمِ
حِسابُکۍ ماہِر ۔

حِساب دِین ۔ ا ۔ پرٕژھُن وأٲلِس وَنُن زِ خرچ کیاہ
کوٗرتہٕ پتھ کُن کیاہ موژٕ بوٗ و ۔ ۲ ۔ کرتوت باوٕنی ۔

حِساب گرُن ۔ دارٕ ہورٕ وٕچھنی ۔

حِساب کِتاب ۔ ا ۔ بہی ۔ دارٕ ہورِ ہُند کھاتہٕ ۔
سۄ کِتاب یتھ پیٹھ کُنیٚک حِساب دَرٕج آسہِ ۔
لین دینٛچ کِتاب ۔ ۲ ۔ لِکھٕ ۔

حِساب گنٛڈُن ۔ ا ۔ لین دینٛس سام ہیٚنٛز ۔ ۲ ۔ (کأنٛسہِ
ہنٛدِس) ۔ ناوَس دَرٕج کرُن ۔

حِساب منٛگُن / ہیوٗن ۔ ا ۔ خرچُک تہٕ آمدٕنی ہُند
حِساب پرٕژھُن ۔ کأنٛسہِ پرٕژھُن زِ کیا خرچوٗن
تہٕ کیا بچوٗن یا زیوٗن ۔ ۲ ۔ بوٗژتھ ہیوٗن ۔ وجہ
پرٕژھُن ۔ (خاصکٔرتھ کرتوٗتن ہُند) ۔

حِساب نہٕ یُن ۔ برابٔری نہٕ یِنۍ ۔ فِکرِ نہٕ ترٕن ۔ وَتھ
نہٕ تِنۍ ۔ اوگ بوگ نہٕ یُن ۔

حِصار ۔ ن ۔ موٗل: حصار < ع: حِصار = حصر] ۔ قلاے ۔ بوٚڈ
تہٕ تھوٚد دیوارٕ ۔ گیر ۔

حِصہٕ ۔ ن ۔ موٗل: حِص < ع: حِصّۃ = حِص ] ۔ ا ۔ (کُنہِ
سالِم چیز منٛزٕچ کانٛہہ) ہَن یا چھَل ۔ کھنٛڈ ۔
۲ ۔ بوگ ۔ یہ کیٛژھا بأگرتھ یا تقسیم کٔرتھ پھَلہِ ۔ یہ کھَسہِ ۔
۳ ۔ انٛگ ۔ تان ۔ بنٛد ۔ جسمُک کانٛہہ تان ۔ ۴ ۔ طرف ۔
پاس ۔ علاقہٕ ۔ ۵ ۔ (کِتابہٕ ہُنٛد) ۔ جُز ۔ جِلد ۔ ۶ ۔ کُنہِ
کلمہٕ منٛزٕ اژُن ۔ شأمل سپدُن ۔ شرکتھ ۔

حِصے کاشکأری ۔ فصلُک سہٕ بوگ یُس کاشکارس
زمین کمناونچہِ موٗزوٗرِ رنٛگہٕ تران چھُ ۔

حِصہٕ بٹأے ۔ تقسیم ۔ بأگرُن ۔ بأگی کٔرتھ شرٛیکَن
دِنٛچ کأم ۔

حِصہٕ باگے ۔ بأگرُن ۔ حِصہٕ کٔرتھ بأگرنٛچ کأم ۔ حِصہٕ
اَلگ کڈتھ دِنی ۔

حِصہٕ پاسہٕ ۔ جاداد کُ حِصہٕ یُس کأنٛسہِ نِش ترٛوٗن
آسہ یا کأنٛسہِ نِش ترٕ ۔

حِصہٕ دَر ۔ یُس حِصہٕ کھَسہِ ۔ یُس حِصہٕ دیُن آسہِ ۔
شُرٛیکھ ۔

حِصہٕ دأری ۔ شُری کاتھ ۔ باگنے ۔

حِصہٕ رَسہٕ ۔ بوگ بیترِ ۔ مِلی کیتہٕ یا میراثہٕ منٛزُک

حِصہٕ۔ ڈکیٖتی جاداد ک حِصہٕ۔ لَرِ جایہ بیترٕ منٛز حِصہٕ۔

حِصہٕ زیُٹن ۔ کانٛہہ طُریقہٕ کٔرتھ تمہٕ وَراثُتس منٛز پَنٕن بوگ حاصِل کرُن یُس نہٕ بذاتی حق آسہِ۔ [عوٛ موٗمن چھِ یہِ لفظ گرِ پیٹھ کِس زامترٕس یا منٛگتہٕ گمتس مُتعلق وَنان]۔

حِصہٕ ژھانڈن۔ پنٕن بوگ تلاش کرُن۔ کانٛہہ کاٗم دوٗیمِن ستیٖ رٔلِتھ کرنہٕ پتہٕ تمیُک ماوضہٕ منٛگُن۔ غۄصب کوٗرمُت حِصہٕ نوٗسرِ پنٕنس اَتھس منٛز انٛنچ کوٗشش کرٕنۍ۔

حِصہٕ کرٕنۍ۔ کُنہِ چیٖزٕس بیترٕ واریاہ باگہِ کرٕنۍ۔ الگ الگ چھلہِ کرنہٕ (باگرنہٕ باپتھ)۔

حِصہٕ کھسُن۔ تقسیم کٔرتھ پھلُن (جاداد بیترٕ)۔ باگہِ یُن

حِصہٕ نیُن۔ ۱۔ (کُنہِ کامہِ بیترٕ منٛز) شموٗلیتھ کرٕنۍ۔ شامِل سپدُن۔ شُریکھ سپدُن۔ ۲۔ پنٕن بوگ نیُن۔ یہِ تقسیم کرِتھ واتہِ تہِ نیُن۔

حِفظ۔ ن۔ موٗل: حفظ ح ع: حِفظ]۔ یادِ دوٗثُر۔ ژیٛنس (آسُن)۔

حِفظ کرُن۔ زبٲنی یاد کرُن۔ ڈرراوُن۔

حِنا۔ م۔ موٗل: حِنا ح ع: حِنا]۔ مانٛز۔

حیلہٕ۔ ن۔ موٗل: حِیل ح ع: حِیلۃ]۔ بہتھ۔ بہانہٕ۔ کانٛہہ کاٗم بیترٕ نہ کرنہٕ باپتھ یا نہ سپدنہٕ موکھ پوٗز یا اَپُز وجہ۔ پان موکلاونہٕ باپتھ پوٗز یا اَپُز وَنُن۔

حیلہٕ کرُن۔ کانٛہہ کاٗم نہ کرنہٕ باپتھ بہانہٕ بناوُن۔

بہتھ ہیوٗن۔

حیلہٕ گر۔ حیلہٕ کرُن ووٚل۔ بہانہٕ بناوَن ووٚل۔

حیلہٕ گرٕس بہانہٕ بِسیار۔ یُس نہٕ کرُنس غرض آسہِ سُہ چھُ واریاہ بہتھ ہرکان ہتھ۔

حیلہٕ گرو بہانہٕ بِسیار/ حیلہٕ گر را بہانہٕ بِسیار۔ بہتھ ہنہٕ باپتھ ہیٚکہِ انسان کٲتیاہ بہانہٕ ژھانڈتھ۔

حیلہٕ گوٚر۔ بہانہٕ کرُن ووٚل۔ بہانہٕ باز۔ بہتٕل۔

حُب۔ ن۔ موٗل: حُب ح ع: حُبّ] ۱۔ مایہ۔ محبتھ۔ لوٗل۔ ۲۔ توفیق۔ م۔ یُس یوٗت حُب آسہِ سُہ دِیہِ تیوٗت چنٛدٕ۔ ۳۔ شوق۔ یژھ۔ مَنہٕ کامَن۔

حُب وَطن۔ وَطنٕک لوٗل۔ وَطنٕک جوش۔

حُباب ا۔ ن۔ موٗل: حُباب ح ع: حَباب] ۱۔ دُلُک غُبار۔ دِلُک بار۔ دِلُک جوش۔ ۲۔ اَرمان۔ مَنہٕ کامَن۔ اَمار۔ ۳۔ بُر۔ آبہٕ بُر۔ پھوکہٕ ڈوٗن ہیوٗ یُس آبس بیترٕ کھسان چھُ۔

حُباب آسُن۔ سخ لوٗل یُن)۔

حُباب نیرُن۔ ۱۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) دِلُک بار لوٗتُن (پانٛس گُدر یوٗمُت حال کانٛسہِ باونہٕ ستیٖ)۔ ۲۔ اَرمان نیرُن۔ مَنہٕ کامَن پوٗرٕ سپدٕنۍ۔

حُباب یُن۔ (لوٗل ینہٕ کِنۍ) وائنٛچہ ووکھر ہیوٗ لگُن۔

حُب الاس۔ اَبآسی پوشک بیوٗل یُس دوٚہس چھُ لگان۔

حُجر۔ ن۔ موٗل۔ حُجر ح ع: حُجرۃ = حُجر]۔ ۱۔ پہر۔ جونٛپر۔ جایہِ پاوٗر۔ ۲۔ خلوَکھ کوٚٹھر یتھ اَندر ریاضِ خود اچھ کران۔

حُسن ۔ن۔مؤل: حُسن <ع: حُسن] خوش پوونی شکل۔
سونڈراسُن۔خۄبصۄرتی۔
حُسن ظون۔رُت گمان۔جان رائے۔
حُسن غم خار۔بٔڈ لۄکہ ہندی غم ہینہ وول۔
حُسنِ غم خارلاگُن۔بٔڈ ہمدرری ہاوٕنی۔
حُسنِ غم خأری۔بٔڈ لۄکہ ہندی غم ہینٕی۔
حُسن یۄسُفؑ۔حضرتِ یوسفسٕ ہیو رٔنبہٕ وُن۔حضرتِ
یوسفسٕ ہیو مأری موٚند (ورگہ) سبٹھا خوبصۄرتھ
سبٹھا رٔنبہٕ وُن۔حضرتِ یوسفؑ سُند ہیو مأری مَند
ییُتھ۔مَردانہٕ خۄبصۄرتی ہُند اِنتہا۔
حُسینؑ ۔ن۔مؤل: حُسینؑ <ع: حُسین]۔حضرتِ علیؑ
سُند دوٚیم فرزند یمی کربلاکس مأدانس منٛز
یزیدس ستی جنگ کۄر۔
حُسینیؑ۔مؤل: حسینیؑ <ف: حُسینیؑ]۔ا۔حضرتِ امام
حُسینؑ صأبس کُن منسوٗب۔۲۔صوٗفیانہٕ موسیقی
اَندر اکھ مقام۔
حُکُم ۔ن۔مؤل: حُکم <ع: حُکم]۔ا۔عدالتُک فأصلہٕ یا
ڈِگری۔شریعتُک فأصلہٕ یا فتوا۔۲۔فرماوُن۔
ارشاد۔کأنسہٕ زِٹھی سُند وَنُن یا دوٚپ۔فرمان۔
۳۔دَس گاہ۔یختیار۔اِقتدار۔۴۔اِجازتھ۔
منظۄری۔۵۔تاسہٕ کہِ اکہِ رنگُک ناویُس
گرٛہن پان ژتھرٕ ہیو چھُ آسان۔
حُکم چلاوُن۔ا۔حۄکوٗمتھ کرٕنی۔۲۔(ہزلہٕ پأٹھی) بٔڈ
یختیار ہاوُن۔
حُکم دِیُن/کرُن۔فرماوُن۔وَنُن۔کانْہہ کأم بیترِ
پأنس وٕستھ کأنسہٕ کرٕنی کرٛٹ وَنُن۔
حُکُم عۄدۄلی (کرٕنی)۔فرمانس اَدلہٕ بَدل (کرُن)۔
آڈرس تامیل نہٕ کرُن۔
حُکم کڈُن۔فرمان جأری کرُن۔اِرشاد دِیُن۔کانْہہ
کأم اَند واتناوُنہٕ موکھہٕ اَفسر سُند لوٚکٹس مُلأزس
مَس آڈر دِیُن۔
حُکم نامہٕ۔ا۔سُہ کاکز یتھ پٮ۪ٹھ حُکم لیکھتھ آسہٕ۔
۲۔ڈِگری۔
حُکمس تأبی یا آسُن۔ا۔سیہ وٕنی زِتہ کرنس تیار آسُن۔
حُکمہٕ مُطأبق کأم اَند واتناوٕنی۔۲۔فرمانبردأری
کرٕنی۔
حُکمس تامیل کرُن۔اَفسرٕ سُند وَنُن بجا اَنُن۔کأنسہٕ
زِٹھی سُند وَنُن مانُن۔
حُکمِ اِمتِنأیی۔عدالتُک سُہ حُکُم یمیہٕ موجوٗب کُنہٕ چیز یا
کامہٕ بیترِ ٹھاکھ کرنہٕ ییہ۔
حُکمِ حأکمِ مَرگِ مَفاجاتھ۔حأکمہٕ سُند حُکم گو
ہنگتہٕ منگہٕ کِس موتس برابر یتھ نہٕ اِنکارے
ہیکِی زِ کرِتھ۔
حُکمِ کُفر۔فتوا یمیہٕ موجوٗب کانْہہ کأفِر مانہٕ ییہ۔
خودا مُنکِر مانہٕ یِنک فتوا۔
حُکمُران۔مؤل: حُکمران <ع: حُکم]۔حۄکوٗمتھ کرن وول۔

حاکم۔

حُکمرٲنی۔ حۄکوٗمتھ۔ راز سی۔ بادشاہی۔

حُلیہٕ۔ ن۔ مۆل: حُلیہٕ < ع: حُلیۃ ]۔ خولہٕ خط۔ شکل۔ صوٗرتھ۔

حوٗر۔ م۔ مۆل: حوٗر < ع: حُور ]۔ ا۔ جنتچ پٔری۔ اَپسرا۔ اِژھہٕ رژھ۔ ۲۔ بجہٕ بإڈ اچھ کرِتھ شکلہِ زنانہٕ۔ سبٹھا شکلہِ تہٕ خوٗبصوٗرتھ زنانہٕ۔

حۄجُم۔ ن۔ مۆل: حۄجم < ع: حَجم ]۔ آڈو باڈو۔ بجرتہٕ کھجر۔

حۄدوٗد۔ ن۔ مۆل: حۄدوٗد < ع: حدود ]۔ ''حد'' لفظُک جمع۔ طرف۔ پاس۔ اَند۔

حۄدوٗدِ اربع۔ ا۔ ژور اَند۔ ژور طرف۔ یہ کینژھا ژور طرفو آسہِ۔ کُنہِ تہِ چیزکہ ژور پاس۔ ۲۔ مشرق مغرب شمال تہٕ جنوٗب یا پۆر پچھم وُتر تہٕ دکھن۔

حۄروٗف۔ ن۔ مۆل: حۄروٗف < ع: حُرُوف ]۔ ''حرف'' لفظُک جمع۔ اَچھر۔

حۄروٗفِ تہجی۔ اَچھر۔ اَلف۔ بے۔ تے (الف بے تے) بیترِ۔

حۄضوٗر۔ ن۔ مۆل: حۄضوٗر < ع: حضُور۔ حضر ]ا۔ جناب۔ حضرت۔ یہِ تہٕ پۆژھی حاکمس مَس کُن وننہٕ یوان۔ ۲۔ (کُنہِ وقتہٕ) آنحضوٗرن تہٕ ونان۔

حۄضوٗری نوکر۔ ذاتی نوکر۔ ذاتی خدمتگار۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) جی حۄضوٗری۔ آنی آنی کرن وول۔

حۄقوٗق۔ ن۔ مۆل: حۄقوٗق < ع: حقوق = حق ]۔ ''حق'' لفظُک جمع۔ ا۔ فرض۔ ذِمہٕ دٲری یہ۔ ۲۔ تمہ حق

یمہ شہر دارن (لوکن) اَپنہٕ مطابق آیی گژھن حۄکوٗمتھ۔ م۔ حۄکوٗمت < ع: حکوٗمۃ۔ حُکم ]۔ مُلکُک کارِ بار چلاونک نظام یا طریقہٕ۔ تمہ سٲری اَدارہِ یم مُلکی معاملاتن پٮ۪ٹھ سوچ سمجھ کرِتھ وَتہٕ کڈن یا بَناونہٕ آمتی قونون عملہٕ منزٲنہٕ ناون۔ سرکار۔ گورمنٹ۔

حۄنژور (خنزِر)۔ ن۔ مۆل: حۄنژور < ف: خنجرہ < ع: خنجرہ ]۔ ا۔ اکہٕ ہۄنڑ وسنک ناو (یہ چھُ ہارِ کِہ پاٹھی نالی تراونہٕ یوان)۔ ۲۔ لکو لہِ ہنز ہٕنس اَندی اَندی سیاہ رِکھ۔

خنجر۔ ہوٗٹ۔ حلقہٕ۔

وصلہٕ۔ ن۔ مۆل: حوصل < ع: حوصلۃ۔ حِصل ]

ا۔ ہِمتھ۔ جوٗرتھ۔ کینہہ کرنس دِل دَرُن۔ دِل۔

۲۔ باش۔ وُطیر۔ تمیز۔ کینہہ کرنک گاٹہٕ۔

حوصلہٕ افزا۔ یمہِ سٟتی ہِمتھ یا وُلُنج بوٗتھ کھسہِ۔

حوصلہٕ افزٲیی۔ حوصلہٕ بڑاوُن۔ ہِمتھ دِنی۔ کانسہِ اَندر جوٗرتھ پٲدٕ کرُن۔ مِٹھہ مِٹھہ کرِتھ کُنہِ کامہِ کُن وٕتش دِین۔

حوصلہٕ آسُن۔ وُطیر آسُن۔ (کُنیکہ) گاٹہٕ آسُن۔ باش آسُن۔

حوصلہٕ بڑُن۔ ا۔ ہِمتھ گژھنی۔ دِل درُن۔ جوٗرتھ گژھن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) ہلُن۔ دزاون تہٕ نگھس کھسن۔

حوصلہٕ دِین۔ ا۔ ہِمتھ بڑاوٕنی۔ شاباش کرُن۔ اَتھہٕ

پیٹھ تھاوُن۔۲۔باش دیُن۔تُمیز دیُن۔

حوصلہٕ شِکَن۔یِیمہِ سِتّی حوصلہٕ پھُٹِن۔یِیمہِ سِتّی کوٗٹھی وَبسرَن۔یِیمہِ سِتّی ہِمَتھ پھُٹہٕ۔

حوصلہٕ گَرُن۔ا۔جُورَتھ گَرُن۔دوٗر روزُن۔وَبسرُن نہٕ۔ہِمَتھ کَرُنی۔۲۔باش تہٕ وُظیر پاد گَرُن (پاٗنس انٛدرٕ)۔تُمیز ہیچھُن۔

حوصلہٕ مَنٛد۔ا۔جُرَتی۔یُس جُورَتھ آسہِ۔ہِمتہٕ وول۔یُس نہٕ کھوژِ۔یُس باش آسہِ۔تُمیز دار۔

حوض۔ن۔مؤل:حوض <ع:حوض]۔ا۔تلاو۔یُس گنٛڈنہٕ آسہِ آمُت۔۲۔پوٚنہٕ سیرٕ بن یا کنین بیترِ ہِنٛز بناونہٕ آمُت سوجاے یتھین روٗد ووٗنی یا لکن بیترِ ہُنٛد ہُریمانہٕ آب جمع سپدان چھُ یا گرنہٕ یوان چھُ۔

حوض کَرُن۔گرم آبہٕ سِتّی پَنٛد کمرس منٛز سرٛان گَرُن۔ حمام گَرُن۔(یِہ چھُ حکیم لفظ)۔

حوضِ کوثر۔جنتک اکھ حوض ییٚتہِ ژٕ ثیش ثواب گار بن چاونہٕ۔

حوجتھ۔م۔مؤل:حوجت <ف <ع:حُجہ=حج]ا۔گُنہِ کلمہٕ پیٹھ ہٹھ۔ہٹھ دَرمی۔وادواد۔۲۔اعتراض۔ عوٗذُر۔۳۔ثوبوتھ۔

حوقہٕ۔ن۔مؤل:حوق <ع:حُقہ=حَق]۔(ہزلہٕ) جنٛجیر۔ گرگری۔

حوقہٕ بَردار۔لگری۔یُس پتہٕ پتہٕ جنٛجیر ہیتھ آسہِ۔تموک بَرَن وول۔

حبس۔ن۔مؤل:حبس <ع:حِس]۔ا۔ہوش۔سور۔زِندگی ہِنٛز حرکتھ۔م:مور دس چھُنہٕ حبس آسان۔ ۲۔زوٗزہتہٕ۔جسمانٛی یاد بمانٛغی قووَتھ۔ییمہٕ سِتّی اِنسان، جانور یا باقٕی زُوٗ زاٗژ پٔنُن پان تہٕ اوٗند پوٚکھ بیترِ وُچھان، ژینان یا پچھانان چھ۔ وُچھنک۔ بولنک۔بوزنک۔ پچھانک تہٕ ژینک طاقتھ۔۳۔خیال۔کل۔فِکر۔ظون۔ (گُنہٕ گُن) دِیان۔م۔پرَن وِزِ گژھہِ کتابہِ کُن حبس تھاوُن۔۴۔(گُنہٕ گُن) نظر۔خبرداٗری۔ م:میانِس وانٛس کُن تھاوِ زِ حبس۔

حبَس پیوٚن۔ہوشس منٛز یُن۔ظونس گژھُن۔

حبسہٕ پھرُن۔ا۔بےٚ ہوش گومُت بییہِ ٹھیکھ گرُن۔ ۲۔خبردار گرُن۔ژینہٕ وُنی دِنی (حطرٕچ بیترِ)۔ظون دیُن۔

حبسہٕ پھیرُن۔بےٚ خود گژھتھ بییہ ہوشس منٛز یُن۔ بےٚ ہوش گژھتھ بییہ ٹھیکھ گژھُن۔۲۔خبردار گژھُن۔ظونس واتُن۔ وَتہِ یُن۔ سادس پیوٚن۔ غفلژٕ نشہٕ ہُشار روزُن۔

حبسہٕ وبسرُن۔ا۔اَسرِ وبسر گژھنی۔حبس ہوش نہٕ روزٕنی۔ ۲۔ہےٚ بنگ گژھُن۔روٗبوٗدٕ ہیوٗ گژھُن۔

حبس آسُن۔ا۔زُو آسُن۔حرکتھ بیترِ کرنک قووتھ آسُن۔۲۔(گُنہٕ گُن) دیان آسُن۔ظون آسُن۔ ۳۔(گُنہٕ بزوٗنہِ کالچہِ کتھِ ہُنٛد) کم کاسہٕ یاداش آسُن۔ژینس آسُن۔یاد آسُن۔دیان آسُن۔

حبس پیوٚن۔(گُنہٕ چیزٕس کُن) دیان گژھُن۔

ژِٹبس پیوُن۔ یاد یُن۔ خیال یُن۔
حِس تھاوُن۔ ۱۔(کُنہِ کُن) خیال تھاوُن۔ فِکر تھاوِنۍ۔ خیال یا نظرِ ہنہٕ اوٚر یوٚر ڈالنۍ۔ ۲۔ زاگہِ روزُن۔ ژُرژٕنس روزُن۔
حِس دِین۔ ۱۔(کُنہِ کُن) خیال پھِرُن۔ ژینہِ وٕنۍ دِنۍ۔ اِشارٕ دِیُن۔ ۲۔ یاد پاوُن۔
حِس راوُن۔ ۱۔ بےٚ ہوش گژھُن۔ حِس نہٕ روزُن۔ ہوش ژُلن۔ ۲۔ خیال نہٕ روزُن۔ فِکر نہٕ روزنۍ۔ اوٚر یوٚر خیال ژُلن۔ غفلتھ گژھنۍ۔ ۳۔ وبرُن
حِس کرُن۔ ۱۔ خبر دار روزُن۔ ظون نہٕ اوٚر یوٚر ڈالُن۔ ۲۔ احتیاط کرُن۔ وُچھتھ پکُن۔
حِس گژھُن۔ کُنہِ بےٚ تٲس سور گژھُن۔ زُوٚ سپُز پھیرُن۔
حِس ہوش۔ سور۔ حرکتھ۔ حرکتھ کرُنک یا خیال کرُنک طاقتھ۔
حِفاظتھ۔ م۔ مؤل: حِفاظت حف <ع: حفظ]۔ راچھ راوُٹھ۔ خبر گیری۔ صحی سلامتھ آسُن۔ وارٕ کارٕ آسُن۔
حِکایتھ۔ م۔ مؤل: حِکایت <ع: حِکایة = حکی]۔ کتھ۔ ڈلیل۔ قِصہٕ۔
حِکمتھ۔ م۔ مؤل: حِکمت <حِکمة]۔ ۱۔ بمارٕس بیترِ سُند یلاج۔ حکیمہٕ سُنز کٲم۔ طبابتھ۔ ۲۔ ژھومب۔ چال۔ تدبیر۔ ۳۔ بود۔ گاٹہٕ۔ عقل۔
حِکمتِ عملی۔ چال۔ ژھومب۔ چالاکی۔ پالسی۔
حِمایتھ۔ م۔ مؤل: حِمایت <ع: حِمایة = حمی]۔ ۱۔ مدد۔ اَتھ روٹ۔ ۲۔ پٹھ۔ ڈکھ۔ پکھ۔ طرفدٲری۔
حِمٲیتی۔ ۱۔ مدد گار۔ ۲۔ پٹھ در۔ طرفدار۔

# خ

عربی یک سٔتیم ''فارسی یک ژوٗیم تہٕ کٲشرِ یک ژٕ دٲہیم اَچھر۔ اَبجد حِسابہٕ چھُ اَتھ شےٚ ہَتھ (۶۰۰) مول۔

خَبَر۔ [م۔ مؤل: خَبر <ع: خَبر]۔ ۱۔ پتاہ۔ وٲقفیتھ۔ کُنہ یا کانٛسہِ ہنٛز زان۔ مولوم آسُن۔ عِلم۔ ۲۔ اَنداز۔ قیاس۔ بزونٛتھے کُنہِ چیزُک یقین۔ ۳۔ دیان۔ حِس۔ ہوش۔ م: پننہِ پانٛچ نہٕ خبرے۔ ۴۔ پےٚ۔ سُراغ۔ نیب۔ م: تٔہنٛز چھنہٕ کانٛہہ خبر سہ کور لوٚگ۔ ۵۔ شیٚچھ۔ پٲغام۔ نیوز۔ م: ریڈیو پیٹھ۔ بوٚز خبر۔ ۶۔ حال(کُنہِ واقعُک یا کانٛسہِ مُتعلق یُس بٕنِس بادنہٕ پیہِ)۔ م: بمارٕس کیا اُس خبر۔ ۷۔ کرٕکھ۔ شاوٕے۔ ترٕے۔ چرچہ۔ م: سٲری سےٚ گیہِ خبر۔ ۸۔ نقد یا جنسہِ رنٛگۍ کانٛہہ توحفہٕ یُس وقتہٕ وقتہٕ مہارِ نہٕ مالنۍ ڈری وٲرِ یُوچھِ نوان۔ م: مہارِ نہٕ وٲژ اَزٕ ملہٕ خبر۔ ۹۔ سیٚہ چھِ تم دوِزِتہٕ وَنان ییٚلہِ کانٛسہِ واقِس بیترِ مُتعلق پوٗرٕ پوٗرٕ وٲقفیتھ یا یقین آسہِ نہٕ۔ م: خبر کر۔ خبر کُس۔ ۱۔ آنچھ۔ قِصاص۔ م: خبر ہیٚز بس۔

خبَر اَتر ۔شیٚچھ خبَر ۔حال۔
خبَر تھوٚنی ۔(کُنہِ کُن یا کانٛسہِ کُن) حِس تھاوُن ۔نظر تھاوِنی ۔خبَر دار روزُن۔
خبَر رَسان۔خبَر واتناوَن وول۔م:خبَر رَسان اَجنَبی
خبَر سوزِنی ۔ا۔شیٚچھ سوزِنی ۔کانٛسہِ اَتھہِ کانٛہہ پاٛغام بیتر سوزُن۔٢۔مُہارکہِ نہِ توٚھہِ بیترِ واُرِ ٹوٚ سوزُن۔
خبَر گرِنی ۔ا۔وَنُن ۔شیٚچھ گرِنی ۔٢۔ترُے گرِنی ۔شاوَے ترٛاوِنی ۔م:مُلکَس گرِکھ خبَر۔
خبَر گرٛھنی ۔ا۔واٛقِف سپدُن۔پَے لگُن۔ملوٗم سپدُن۔٢۔حِسہِ پھیرُن ۔٣۔کتھ فِکرِ ترِنی ۔
خبَر گیری۔نظر تھاوِنی ۔راٛچھ راوتُھ۔
خبَر ہیٚنی ۔ا۔خبَر اَتر پرٛژھنی ۔٢۔بیمارَس بیتر خبَر گوٚھن ۔٣۔(وَرگہِ پاٛٹھی) آنٛچھ ہوٚرُن ۔بۆزِتھ ہیوٚن۔
خبَرِ گرٛھن۔بیمارَس حال پرٛژھن۔بیمارَس بیترِ نظر دِنہِ گوٚھن ۔بیمار پُرسی گرِنی ۔
خبَر ہیُن ۔بیمارسند حال پرٛژھنہِ گوٚھن۔
خبَرِ وَننہِ ۔تہِ وَنُن یہِ نہِ بہُن لایق آسہِ۔(ہزلہِ) ٹرلانٛنی ۔بتولہِ وَننی۔
خبَر دار۔[مۆل:خبَر دار <ع:خبَر +ف = دار]۔ا۔یَس خبَر آسہِ ۔یَس پتاہ آسہِ۔واٛقِف ۔ویُود۔٢۔ہُشیار۔حِسہ۔٣۔ہوش گر۔حِسہِ روز۔غفلتھ گرِی نہِ۔(یہِ چھِ کانٛسہِ کُنہِ بلایہِ بیترِ نشہِ حِس دِنہِ وِزِ وَنان)۔
خبَر دار روزُن۔حِسہِ سان روزُن۔حِس تھاوُن ۔ہُشاٗری سان نظر گُذر تھاوِنی ۔
خبَر دار گرُن ۔ا۔کانٛہہ کُنہِ کتھہِ واٛقِف گرُن ۔یَس نہِ خبر آسہِ تَس باوُن ۔٢۔حِس دِیُن ۔ہُشار گرُن (کُنہِ بلایہِ بیترِ نشہِ پان بچاونہِ باپتھ)۔
خبَر داٛری۔ہُشاٗری۔راٛچھ۔حِسہِ روزُن۔
خباثتھ۔[م۔مۆل:خباثت <ع:خباثۃ]شیطاٛنَل ۔بد کرِداٛری۔بدخمیر آسُن ۔کمینہِ گی۔
خبط۔[۔ن۔مۆل:خبط <ع:خبط ]۔ا۔مژر ۔دیوانہِ گی۔٢۔دِماغَس ہرِ ہرِ۔٣۔(پاٛس مُتعلِق) اَپزُے گُمانہِ۔م:تَس چھُ خبطہِ یہِ چھُس گستام۔
خبط کھسُن ۔کبر گرٛھُن ۔سکُر کھسُن۔
خبط گرٛھُن ۔پنُن پان افلاطوٗن زانُن ۔یہِ سوچُن زِ یہِ بہِ گرِ یازانہِ تہِ ہیکہِ نہِ کانٛہہ گرِتھ یازانٛتھ۔دِماغ نہِ ژٔنجہِ روزُن۔اَپزِ گُمانہِ گرٛھُن۔
خبطی ۔یِمِس ہۆنُون یا مژر آسہِ ۔(وَرگہِ پاٛٹھی) نشی ۔یَس کبر آسہِ۔
ختَن ہال ۔سونتھ ۔کوٚٹ بہناوُن ۔رسمہِ پاٛٹھی کٔنِس پیشاب چہِ جایہِ ہُند بۆزنہہ کنیک حصہِ ژٹُن۔
خَتَن ہاۓج منڈُل ۔سوجاے یتِتھ خَتَن ہاۓج مہرازس پھتِس پیٹھ بیہناوِتھ خَتَن ہال چھ گران۔
خَتَن ہاۓج مہراز ۔سُہ کوٚٹ یَس خَتَن ہال گرِ مُت

آسکھ ۔ بیہنو وُمت کوٚٹ۔

خَتم ۔[ن۔مۆل:خَتم <ع:خَتم]۱۔اَند ووتمت۔موکلیٚومُت۔
۲۔(وَرگہِ پاٚٹھی) خَتس ووتمت۔۳۔خودلیہ سُنْد یا کانٛسہِ اَولیاسُند شُکرانہٕ کرنہٕ باپتھ مَذہٕبی رَسم۔

خَتم پَرُن۔شُکرانہٕ بیترِ باپتھ قُرآنِ شَریف یا وٚظیفہٕ تہٕ دوٗدِشَریف پَرُن۔

خَتم کَرُن۔۱۔اَند واتناوُن۔موکلاوُن۔۲۔(وَرگہِ پاٚٹھی) مۆلہِ مونٛجہِ موکلاوُن۔مارِتھ ژھٕنُن۔

خَتم بَنْد (تالو)۔نَقشہٕ دار کوٚنٛج کَڈِتھ پَچہِ چھلَن ہُنْد ووٚنُمت تہٕ ووٚتُمت اکہِ قِسمُک تالو۔

خَتم الانبیا۔وُچھو''خاتم الانبیاؐ''۔

خَتم المرسلینؐ۔وُچھو''خاتم المُرسلینؐ''۔

خَجالَتھ۔[م۔مۆل:خَجالت <ع:خَجالة=خَجل]بےٚ یَزتی۔رُسوأیی۔بےٚ ؤقری۔

خَجالَتھ کَرٕنۍ۔حدٕ کھوتہٕ زیادٕ بےٚ یَزتی کَرٕنۍ۔ؤقر والنٕۍ

خَچر۔[ن۔مۆل:خَچَر<?س:کھیسَر]۔کاتُر۔خَرٕنسلُک گُر۔

خَچر۔کاتر۔(ہزلہ)۔سو(ووٚنٛث) زَنانہٕ یوسہ سبٕھا پکان آسہ۔

خَدشہٕ۔[ن۔مۆل:خَدش <ع:خَدشَة=خدش]۱۔خوف۔فِکر۔اَندیشہٕ۔۲۔مومۆلی نوقصان۔ضَرر۔(کُنہٕ اَمانتھ ثھوی مِتس چیزٕس بیترِ)۔

خَدشہٕ کَرُن۔۱۔سیٚتھ اہٕنٛی تھوتھ کَرٕنۍ۔۲۔زَکھ واتناوُن (اَمانتس بیترِ)۔

خَدشہٕ گَژھُن۔۱۔اندیشہٕ سپدُن۔فِکر پیٚنٛز۔شَکھ گَژھُن۔
۲۔کُنہِ چیزٕس کانٛہہ ضَرر واتُن۔زَکھ واتُن (اَمانتس بیترِ)

خَر،کھَر۔[ن۔مۆل:خر/کھر <ف:خَر=س:کھَرَ]۱۔زٕ ژٹھی گَن گَرِتھ گرٕی ہٕنْد کھوتہٕ ژھوٚٹ اَکھ چاروٚو یُس بور بیترِ سارٕنس چھُ لگان۔۲۔(وَرگہِ پاٚٹھی]بےٚ قَل۔مُڈ۔چور۔یُس نہٕ سَہل سَہل گَتھ فِکرِ تَرِ۔۳۔(ہزلہِ پاٚٹھی) یُس سَخ پاٚٹھی جیٚکھ۔یُس سَخ میٚحنَتھ کَران آسہ۔یُس ہُگی پان ژٕٹہِ۔

خَرٕس کھَسُن۔وَتہٕ وَتہٕ مَنْد چھاوٕنہٕ یِن۔بدنام گژھُن۔ناوییٚرُن۔

خَرٕس کھارُن۔کُنہِ اَتَرِ باپتھ سأری سےٚ بدنام کَرُن۔اُٹھ اُٹھ کَڈُن۔

خَرٕس گورآپرُن،خَرٕس گور دیُن۔یُس نہٕ یِیمِیُک بُتھ بانہٕ آسہ تَس تہٕ دیُن یا باوُن۔بیقلس کانٛہہ جاریاژ اَدی جاروُن۔م:کوکرِ مونتہٕ چھکُن۔

خَرِ بور تہٕ خَرٕنچَس اَتہِ گَتھ۔تہٕ دٕپتھ گو اَکس اوس حقہٕ تہٕ بیٚیِس چھےٚ پوان ہُگی دٕوٕ دٕو کَرٕنۍ۔

خَرِ دَجال۔دَجالہِ سُنْد خَر۔دَجال چھُ سُہ بوٚڈ کافر یُس مُسلمانَن ہٕنْد عقیدٕتہٕ مۆجوٗب قیامَژ برٛونٛہہ کیٚنٛہہ کال ووتھِ تہٕ لۆگَن مَذہَبہٕ نِشہٕ ڈالہِ تہٕ اَمی خَرٕس سَپدِ حضرت امام مہدیؑ ہٕنْدی دٕسی مار۔

خَرِ بُزۍ گَرُن۔ضایہٕ کَرُن۔مَکری گَرُن۔

خَرِ بُزٕ گرٕ ھٕن ۔ضایہِ گرٕ ھٕن ۔مکری گرٕ ھٕن ۔
خَرِ سُند مَرُن چھےٚ ہوٗنی ہنٛز شادی ۔اُکس اَگر تکلیف واتہِ بیٚیس چھےٚ تمی ہتی اَسائیش واتان۔م:اُکی ہنٛز دروکھ بیےٚ سُند غذا۔
خَر بَچہِ۔ا۔خَرِ سُند بَچہِ۔۲۔(لکیہِ پأٹھی) بےٚ شور۔رٕذیل۔
خَر بور۔ا۔خَرس لدنہٕ آمُت بور۔۲۔(وَرگہِ پأٹھی) ووہِ بور۔سَخ گوٚب بور یُس نہٕ اَکھ نفر ٹُھپکھ پأٹھی اور یور ہیکہِ پکنأوِتھ۔
خَردِماغ۔یُس عقل موٚٹ آسہِ۔یُس نہٕ سہَل سہَل گتھ فِکرِ تَرِ۔ڈڈٕ۔زڈٕ موٚ نٹھ۔
خَرژٕم۔ا۔خَرسُند مُسلہِ۔خَرِسُند دلہِ۔۲۔(وَرگہِ پأٹھی) سَخ دُرژٕم۔مُسلہِ یُس خَرداکی پأٹھی دوٗرآسہِ۔
خَرژٕم آسٕنی۔کأنسہِ ہُند نہٕ وپھن۔کِچہِ کِچہِ نہٕ گرٕ ھٕن۔دِمثس نہٕ رِپھنٕزی گرٕ ھنی۔
خَرکرایہِ تہٕ اَشناوی کیا۔لین دیٚنس مَنٛز گرٕ ھنہٕ رِشتہِ دأری اَنٛز۔یتھ پٔنٛز پأنسہِ کڈی زِ تتھ کوسہِ مِلتھے۔
خَرکُر۔خَربَچہِ۔(وَرگہِ پأٹھی)بےٚ شور۔رٕذیلہِ شُر۔
خَرکیازانہِ زعفرانچ قدر۔تَس مُتلِق وَنان یُس پانہٕ دُسی پایہِ تہٕ نالگہِ ہارآسہِ تَس کھَسہِ نہٕ بیےٚ سُند بجر تہٕ مَرتبہِ ٹار۔م:لوٗن کیازانہِ زَگ تہٕ پڑوٗن۔
خَرکھاو۔ا۔خَرکھسنہٕ وول۔یُس خَرِسُند ماز کھیٚیہِ۔
۲۔(وَرگہِ پأٹھی)بَدنام تہٕ بَذگار۔مَنٛد چھاونہٕ آمُت۔اُٹی اُٹی دژامُت۔
خَرکھاوگرُن۔مَنٛد چھاوُن۔بَدنام گرُن۔اُٹی اُٹی کڈُن
خَرکھاوگرٕ ھٕن۔اُٹی اُٹی نیرُن۔مَنٛدِ چھاونہٕ یُن۔بَدنام گرٕ ھٕن۔
خَرکھینےٚ خَرکھاو۔اَتھ کَرنہٕ روٗستےٚ بَدنام۔
خَروالیٚو خَرہاموٗ دُے لوٗٹ ہاروٗ دُے
اَتھس کینتھ۔تَس مُتعلق وَنان یُس سبٹھا جِکھہِ تہٕ زُوژٕرٕ اماپوٗ زفأیدٕ بیٚیس نہٕ کیٚنہہ۔
خَرِوول۔یُس خَرس بورلدِتھ اور یور سارنچ کأم آسہِ گران۔
خَرہنگ تہٕ وُونٹہِ نژُن۔بُلی کرنہٕ یُن۔کھَمر نہٕ کھَسُن۔ہونگہِ ینہِ۔
خَرہنگہِ (ینہِ)۔ا۔خَرِ ہنٛز ٹانگ (دِنی)۔۲۔خَرِ ہنٛدی پأٹھی کرنہٕ پٔتھٕن عادت بَدمشُن۔ہونگہِ ینہِ۔
خَرہونگہِ (ینہِ)۔وُچھو"خَرہنگہِ"۔
خَر۔کھَر۔۲۔ق۔بجوٗ زُنگل پوٗ ویُس کھوازس لگان چھُ۔
۲۔بجوٗ زیوٗٹھ پوٗ ویُس چھانس رَنٛدِ وِزِ بکار یوان چھُ۔
خَراب۔[ن۔موٗل:خراب[ع:خراب=خرب]]ا۔(چیز یا پُرزٕ بیترِ) نالگہِ ہار۔۲۔(کأم کار یا عادتھ بیترِ)۔بَد۔ناواُجب۔ناکارٕ۔یچھ۔یہِ نہٕ پزٕ۔

٣۔( کھینہِ چیز بیترِ )۔ بیوُمُت ،ہوٗتمُت یا مٕز بیترِ کِنۍ بگریوٗمُت ۔٤۔ پننہِ اصلی مٕز حالتہِ یا شکلہِ نِشہِ ڈولمُت کھرٕ وُن ۔ وٕکھٕٹ ۔

٥۔(شُر کوٗٹ بیترِ )۔ کوکارَن کُن لوٗ گمُت ۔ بد کار۔ آوارٕ ۔ دَرٕبدری ۔٦۔ (پونٛسہِ ٹوٗنک بیترِ ) بےٚ والِہ پاٗٹھۍ خرچوٗمُت ۔ فضوٗل چیزَن پیٛٹھ راوٕرمُت ۔٧۔ بد حال ۔ پریشان ۔ گیر گومُت

خَراب حال ۔ مُصیبَتہ زَدٕ ۔ بد حال ۔ تباہ حال ۔

خَرابات ۔[ن ۔ موٗل: خرابات ح ع: خرابات]۔١۔ شراب خانہِ ۔ شرابہِ چیٚنۍ جاے ۔٢۔ وٲران جہاتھ ۔

خَرابٲیی ۔١۔ پُٹن گرٕ وُ جارٕ گرَن وول ۔ رَفہِ تبٲے ۔ ٢۔ ناکارٕ ۔ بد کار ۔٣۔ شرٲبی یا چرٕسی ۔٤۔ زٲری ۔

خَرابہِ ۔ گرِداوٗری پیٛٹھ فصلک سہ حصہ یُس نوقصان قرار دِنہٕ ییہِ ۔

خَراج ۔[ن ۔ موٗل: خَراج ح ع: خراج = خراج]۔ باج ۔ حاکِمَس کُن تارنہٕ آمُت پونٛسہِ ٹوٗنک ۔ ٹیکس ۔

خِراج گذار ۔ باج دِنہٕ وول ۔ یُس باج تارِ ۔

خَراجِ تحسین ۔ کاٗنسہِ ہُندرُت پھرُن ۔

خراجِ عقیدَتھ ۔ کاٗنسہِ بُزرگس بیترِ آدرتہٕ یِزتھ کرنہٕ پُرشھی تہٕندی تاٗریف کرٕنۍ یا تَس پیٛٹھ پَنٕنۍ پرٕ ھ ظاہر کرٕنۍ ۔

خَرادٕ ۔ن ۔ موٗل: خراد ح ف: خراد]١۔ کھُہرَن دِنک چرٕخ ۔ شرٛاکہِ بیترِ تیز کرنک چرٕخ ۔٢۔ گول چرٕخ یتھ پیٛٹھ یُنٛڈر یا تمانشہِ بیترِ بَناونہٕ باپتھ لُکر چھِ زالان ۔ تورکہِ چھلنہِ سُند چرٕخ ۔٣۔ شیشہِ بترَس چوٗرٕ کھارنہٕ باپتھ یاڈ دِ کرنہٕ خاطرٕ اکھ مشین ۔

خَراش ۔ن ۔ موٗل: خراش ح ف: خراش ح ع: خرش]

١۔ کھِہہ ۔ کھِش ۔ کُنہِ تیز یا پیٛژ دار چیزٕ ستۍ لوٗ گمُت زِل ۔٢۔ (نزلہٕ ستۍ ) ہوٗٹ زِلنہٕ یِن ۔

خرافات ۔ن ۔ موٗل: خرافات ح ع: خرافات]۔ کتھ یِمَن نہٕ ہوٗٹ لوٗٹ آسہِ ۔ یِمَن کتھَن نہٕ کانٛہہ سوٗد یا سادآسہِ ۔

خَرانٹھِ ۔ن ۔ موٗل: خرانٹ ح ہ: خُرانٹ/کھر انٹ]١۔ کُنہِ تژگر۔ یُس رانڈٕ آیس مَنز آسہِ ۔ بتھی پھیٛر ۔ ٢۔ ژوٗتُر ۔ چالاکھ ۔ یَس نِش نہٕ ژھل ژھدر چلہِ ۔ پےٚپرٕ دِکار ۔ شانہِ ۔ زنٛنڈٕ ۔

خرٲبی ۔١۔ خٲمی ۔ نوقص ۔٢۔ وٲرٲنی ۔ تبٲہی ۔ وُجارٕگی ۔ ٣۔ بُدی ۔ ناکارٕگی ۔ بدکٲری ۔

خَرٕچ ۔ن ۔ موٗل: خرچ ح ف: خرچ ]۔١۔ پونٛسہِ ٹوٗنک بیترِ یتھ کانٛہہ چیز موٗلہ ہیٛنہٕ ییہِ یا یُس کُنہِ کامہِ بیترِ پیٛٹھ لاگنہٕ ییہِ ۔٢۔ لاگتھ ۔٣۔ (وَرگہِ پاٗٹھۍ ) نقدِ رٔنگۍ موٗزوٗرَس بیترِ ستۍ اُجر تھ ۔ موٗزوٗری ۔

خَرٕچ بَردار ۔ یَس خرٕچ کرنہٕ باپتھ پونٛسہِ ٹوٗنک حَوالہِ آسہِ ۔

خَرچاوُن/خَرچُن ۔ خرٕچ کرُن ۔ کُنہِ چیزَس پیٛٹھ لاگُن

(پوٗنسہٕ ٹوٗنک یا بیٚیہٕ کانٛہہ چیز بیتر)۔

خَرچہ بَرُن۔ شَہادَتھ دِنہٕ وٲلی سٕنٛدِ یا پیش کَرنہٕ یِنہٕ وٲلی سٕنٛدِ باپتھ کرایہٕ پوٗنسہٕ بیترِ عدالتس مَنٛز داخِل کَرُن۔

خَرچہٕ پاوُن۔ عدالتُک مُقدمہٕ ہارَن وٲلس ڈِیس زیٚنَن والِہ دَرٛیُک مُقدمَس پیٹھ خرچ گومُت رَقم مَتہٕ کھارُن یا اَدا کرنُک حُکم دیُن۔

خَر بادام۔ بادامَن ہُنٛد اَکھ قِسم۔ اَمہِ ذٲژہٕنٛدی بادام چھِ ٹیٛٹھی آسان۔

خَربُز۔ ن۔ مۄل: خَربُز > ع: خربوزہ]۔ پٲرِی مہِ الِہ ہیٛو اَکھ لگرِ دار لیوٗدرِ تہٕ موٗدرِ موٗ۔

خَرپَدوٗر (پڈوٗر)۔ یُس بےٚ گنڈ پٲٹھی فضوٗل پکان آسہِ۔ یُس نہٕ پکُو پکُو تھکانےٚ آسہِ۔ دَر پدری۔

خَرپڈُر۔ اَکِہ مۄک ناو۔ اکِہ قِسمُک ٹنٛگ۔

خَرتزِیل۔ اکِہ قِسمِچ جنٛگلی تزِیل۔

خَرٹاٗنٛچ۔ اکِہ مۄک ناو۔ اکِہ قِسمِچ ٹاٗنٛچ۔

کھَرکھَر۔ ن۔ مۄل: خرخر > آوازِ پیٹھ]۔ گُرِس بیترِ گشنُک اَکھ اَوزار۔

خَرخَر کَرُن۔ مَتھ مَدرِ کَرُن۔ ٹیٹھ میٹھ کَرُن۔ پھَر گَرُن۔ ووٚتہٕ اَنُن۔

خَرخشہِ۔ ن۔ مۄل: خَرخش > ف: خَرخشہِ]۔ ا۔ شور کَرکہٕ نادِ۔ جِنہٕ جوٗش۔ ۲۔ پھٹہٕ پھرٕٹہٕ سامانہٕ یُس لۄسرِ کھۄسرِ پٲٹھی ڈٲہرِ تھ آسہِ۔

خَرہہہ۔ ا۔ ہہہ سبزِ شکلہِ اَکھ پۄش۔ ۲۔ زیبرا۔

خَرگچ۔ ن۔ مۄل: خرگچ > ف: خَرخش]۔ ا۔ بِرِ بارَے تہٕ کرٕکہٕ ناد۔ ۲۔ پھٹہٕ پھرٕٹہٕ سامانہٕ۔ ژری کھری پٲٹھی تھَونہٕ آمتی چیز۔ خَرخش۔

خَرگاہ۔ ن۔ مۄل: خرگاہ > ف: خرگاہ]۔ ا۔ یِژپٲٹھی چھِ ''خمہِ گاہ'' وَنان۔ خمہِ تہٕ تَتھ سٟتی باقٕے سامانہٕ بیترِ۔ ۲۔ (دورَس مَنٛز) شاہی کیمپ۔

خَرگوش۔ ن۔ مۄل: خَرگوش > ف: خرگوش]۔ زِیٹھی کَن گٕرِتھ بڑٲرِس کھوتہٕ لوکُٹ اَکھ ژرٛوٗنگ پۄش۔ یہِ چھُ سیٹھا تیز دَوان۔

خَرمنگ۔ اَکِہ گاسُک ناو۔ دَپان یہِ گاسہٕ کھینہٕ سٟتی چھُ اِنسان اوٚرُک یور وَنان۔

خرمنگہِ۔ سیٹھا بگواس۔ خوشکبتھ۔ دَناسپر۔

خزان۔ ن۔ مۄل: خزان > ف: خزان] وُہرٲژ پیٚتُک موسم۔ ہَرُد

خَزانہٕ۔ ن: خزان > ع: خزانہ]۔ ا۔ سو جاے یتہٕ دیار تہٕ موٗلی چیز (خاصکرِتھ سرکٲری) تھاونہٕ چھ یوان۔ ٹریزری۔ ۲۔ گنجینہٕ۔ مۄحفوٗظ جاے یۄت ژۄرٕ سُنٛد اَتھ سَہل سَہل واتہٕ نہٕ۔ ۳۔ ڈیر۔ راش۔ سو جاے یتہٕ کانٛہہ چیز ووفوٗر آسہِ۔

خَزانَن ٹھانہٕ وٲتھی تژاوٕنی۔ لۄکہٕ ہنٛدِ باپتھ یَلہٕ پٲٹھی دیار تھَوٕنی۔

خَزاۓچی۔ ا۔ یَس خَزانہٕ حَوالہٕ آسہِ۔ خَزانُک (راۓچھ دَر)

اَفسَر ۔۲۔ کُنہِ اَدارُک سُہ عوٚہد داریَس اَتھِ رَقم تھاونہٕ ییِہ۔

خَسارٕ ۔ن۔مؤل: خسار <ع: خسارة] گاٹہٕ۔ نوقصان۔ چھتھ۔

خَسارَس مَنٛز روزُن۔ (کارٕ بارَس مَنٛز) گاٹہٕ پیٚون۔ نوقصان تُلُن۔

خَسارٕ پاوُن ۔ترٛ ہ حَرکَتھ کَرٕنۍ ییٚمہِ سٟتۍ دوٚیمِس دَدارٕ واتہِ ۔نوقصان گرناوُن ۔گاٹہٕ واتناوُن ۔

خَسارٕ دیِن ۔چیٚٹ دِنۍ ۔چیٚٹ بَرٕنۍ ۔

خَستہٕ ۔ن۔مؤل:خست <ف:خستہ ]۔۱۔یَس حلہِ بد گوٚمُت آسہِ ۔پَریشان ۔۲۔ (گُلچہِ بیترٕ) ترٛوٗش۔ یُس زیرٕ سٟتۍ پھُٹِتھ ہیکہِ۔ بُسرکھ ہیوٚ ۔۳۔آوٕ سیوٚمُت ٔبگریوٚمُت (مَکانہٕ بیترٕ)۔

خَستہٕ جگر۔یَس دِل ہُنٛد ریوٚمُت آسہِ۔

خَستہٕ حال ۔پَریشان۔ حالہِ حأران۔

خَستہٕ حأِلی۔ حالہِ حأرأنی۔

خَستہٕ گرُن ۔۱۔ کأنسہِ ہُنٛد دِل ہُنٛد راوُن ۔۲۔ ترٛوٗش بَناوُن ییٚتھ زیری پھُٹہِ (گُلچہِ بیترٕ)۔

خَستہٕ گرٛھُن ۔کمزور سَپدُن ۔رُٕنُن ۔آوٕسُن ۔

خَسرٕ ۔پٹھوأری سُنٛد سُہ فہرِس ییٚتھ اَنٛدَر زٔمینہِ ہُنٛد روقبہٕ تہٕ قبضہٕ کاش بیتر ییٚک تفصیل دَرٕج چھُ آسان۔

خَشِم ۔ن۔مؤل: خشم <ف: خشم]۔سَخ ژٕکھ۔ غوصہٕ ۔ شَرارتھ۔

خَشِم ناک۔۔ژٕکھِ ہوٚت۔ شَرارتہٕ ہوٚت۔

خَشخاش ۔ن۔مؤل: خشخاش <ف: خشخاش ]۔اکہِ پھَلُک ناو ییٚمہِ کِس گولرِس أفین کَڈان چھِ۔

خَشخاش پھٔلِس سوٚمب۔ (وَرگہٕ) سبٹھا لوکُٹ۔ یُس نہٕ مُجراہَس ییٚتھ ہیکہِ۔

خَشخاش گولُر۔ خشخاش کُلیٖک ٹوٗپ۔

خصلَتھ ۔م۔مؤل: خصلَت <ع: خصلَت = خصل ]۔ طٔبی یَتھ رُجحان۔ خوے۔ عادَتھ۔ خُمیر۔

خَصلَتھ ہاوٕنۍ ۔تیُتھ کینٛہہ گرُن ییٚمہِ سٟتۍ بدذأتل نٔژیرٕ۔ بَدسوٚلوٗک گرُن۔ کُمینہٕ گی گرٕنۍ ۔ذاتھ ہاوٕنۍ۔

خَضاب ۔ن۔مؤل: خضاب <ع: خضاب = خضب ]۔ بَسمہٕ ۔سُہ رَنٛگ یُس ریشَس بیترِ دِنہٕ ییِوان چھُ

خَط ۔ن۔مؤل: خط <ع: خط]۱۔ چِٹھۍ ۔پٔتٕر ۔۲۔ دسخَط ۔لیکھنَچ ترٛاے۔۳۔ رِکھ۔ نشانہٕ ۔۴۔ ژھوٚٹ ریش۔ ۵۔ دارِ ہنٛز سورِ کھ ییٚمہِ اَپور دأرِچھےٚ کلسنہٕ ییِوان۔ ۶۔ موکجارُک لیکھ۔

خَطِ اِستِوا۔ سوٚ خیأِلی رِکھ یوسہٕ زٔمینِس دۆٚنوٕنۍ کھوٚرِ دون برابر حصَن مَنٛز بأگران چھےٚ (جغرأفی ہُنٛد لفظ)۔

خَطِ نسَخ ۔ن۔مؤل: خط نَسَخ <ع: خط+ نَسَخ ]عربی لیکھَن ترٛاے ۔ییٚمہِ طَریقہٕ عَربی لیکھنہٕ چھُ ییِوان۔

خَطِ نَستائلیق ۔ن۔مؤل: خَطِ نَستائلیق <ع: خَط+ نَسَخ

+تعلیق]۔فارسی لیکھن تراے۔فارسی زبانٕ ہُند
خط۔ییمہِ طریقہِ فارسی زبان لیکھنہٕ یوان چھےٚ
خطِ کِتابَتھ۔اور یور چِٹھ لیکھنہٕ۔اَکھ اَکس
کاکذس پیٹھ لیکھتھ خوش خبر سوزٕنی۔
خط پَتر۔نامہٕ پأغام۔اور یور چِٹھ لیکھنہٕ۔خطِ کِتابَتھ۔
خط تھاوُن۔اصلاح کَرتھ ژھوٚٹ ریش تھاوُن۔
خط دیُن۔موکجار دیُن۔خُلع دیُن (زنانہٕ)۔
خطلہِ ڈِژاکھ خط دوپنکھ سانِہن چھِ برٕوٚٹھی۔کٔڈنہٕ یتھ تہٕ وٕنُن زِ مےٚ چھُ وُنہٕ پانٕس تام۔تہٕ ڈیتھ گو بکری دوٗرلاگن۔
خطرناکھ۔مؤل:خطرناک <ع:خطر+ف: ناک ]
۱۔یتھ منز خطر آسہِ۔ییمہِ ستۍ کھوژُن پیہِ۔ہأبتھ ناکھ۔۲۔تہٕ یاسہٕ ییمہِ ستۍ کانہہ ژٕنڈ پنُنگ اَندیشہٕ آسہِ۔
خطا۔ن۔مؤل:خط:ع:خطا]۔راہ۔غلطی۔پھرٕنی۔اُتر۔
خطاب۔ن۔مؤل:خطاب <ع: خطاب ]۔سُہ لقب یُس کانٕسہِ شخصس سرکار بیترِ دِیہِ۔
خطأے۔م۔مؤل:خطاے <ف: خطایی =ع: خطا ] (مُلک ناو)۔۱۔اکہِ قسمُک خستہٕ موٚدُر ژچہ دوٗر۔ ۲۔اَکھ پوشہِ ذاتھ۔۳۔اکہِ قسمٕچ سبز چاے۔
خطہِ/کھتہٕ (کڈُن)۔۱۔بے کھٹنگ بچھیر سوارِ لایق کرُن۔۲۔کامہِ اَہل بناوُن۔ہیچھناوُن

خطہِ (کھتہٕ) وژاُمت۔۱۔سُہ بچھیر یُس سوارِ لایق آسہِ گومُت۔۲۔کارُک واقف ییمۍ پوٗرٕ کأم ہیچھمٕژ آسہِ۔
خطر۔ن۔مؤل:خطر <ع:خطرۃ]۔ڈر۔اندیشہ۔بےٚ۔خوف۔
خفہٕ۔ن۔مؤل:خف <ف: خفہ]۔ناراض۔یِتھے ہیوٗ۔اوزُردٕ۔
خفگی۔ناراضگی۔یِتھے ہیوٗ۔اوزُردِگی۔
خفتھ۔<ع: خبط ''لفظُک بِگار]۔وُچھو ''خبط''۔
خلتھ۔ن۔مؤل:خلت <ع:خلعۃ]۱۔بادشاہ رَخت۔ ۲۔پلو پوشاکھ بیترِ یُس بادشاہ یا امیر ینامہٕ پٔژھی کانٕسہِ بخشان آسی۔۳۔مہراز پلو۔
خلتھ گنڈٕنی۔ینامہٕ دیُن۔پوشاکھ بیترِ ینامہٕ رٔنگی دیُن۔یٔژتھ افزأیی کرٕنی۔
خلتہِ شاہی۔وُچھو خلتھ لفظُک مانےٚ ایتہٕ ۲۔
خلل۔ن۔مؤل:خلل <ع:خلل=خل]۔۱۔(کُنہِ کامہِ بیترِ منز) روٗٹ۔رُکاوٹھ۔گانٹل۔۲۔نوٗقص۔خرأبی۔
خلل کرُن۔تھوتھ کرٕنی۔
خلا۔ن۔مؤل:خلا <ع:خلا:خلو]۱۔شئی۔سُہ زیٹھِ زیوٗٹھ فضا یتھ اَندر آفتاب۔زمین تہٕ باقے سِتارٕ بیترِ موٗلق چھِ۔۲۔یتھ اَندر نہٕ کہیں تہٕ آسہِ۔یہِ بلکل خألی آسہِ۔ژھربر۔وبژھے۔
خلاباز۔شخصس منز وُڈو کرن وول۔یُس خلأیی

جہازَس منز سفر کرِ۔ شُنیٚ سوار۔
خَلأیی جہاز۔ شُنیٚس اَندر وُڈن وول اکھ خاص قسمُک جہاز۔
خَلاص۔ن۔مؤل: خلاص <ع: خَلاص = خلص]
ا۔ (کُنہِ کامہِ یا تکلیفہِ بیترِ نشہِ) بُری آزاد۔ یَلہٕ۔ موکل ۔۲۔ پیاٚمژ ۔۳۔ تمہِ وِزونان ییٚلہِ نہٕ موکلن پاے باسہِ۔
خَلاص گژھُن ۔ا۔ (وَرگہٕ پاٚٹھی) پژسُن۔
۲۔ (وَرگہٕ پاٚٹھی) دُنی یا کہو دوکھو نشہِ موکجار لَبُن ۔ مُرُن۔
خَلاص موہَر۔ا۔ سُہ چھپو یُس پزٕسوٕنہِ زنانہِ آسأیشہِ باپتھ اَتھس منز رَٹان چھےٚ۔ سُہ تاٚویز یُس پزٕسوٕنہِ زنانہِ آسأیشہِ باپتھ چوٚن چھہِ دِوان۔
خلاص وور۔ا۔ تحریر یا لِکھِ یُس گُرگُبن بیترِ کنِن وول مُلو ہیتہِ واٚلِس دِوان چھ۔ کانہہ چاروٕے بیترِ کُنہِ ٹکٕ رٔسید۔۲۔ تاٚویز یا بیٚیہ کانہہ تیٚتھے چیز یُس تکلیف کم گژھنہِ باپتھ خلاص گژھن واجنہِ مَژھ گنڈان یا اَتھس کیتھ دِوان چھہِ۔
خَلاف۔ن۔مؤل: خلاف <ع: خِلاف: خلف ]۔
ا۔ مُخالفتھ کرَن وول۔ بیٚون راے تھوَن وول۔ بَرخلاف۔ مُخاٚلف۔۲۔ وُلٹہٕ۔ پھِرِتھ۔ برعکس۔ اُدلہٕ بَدَل۔۳۔ مُقابلہٕ۔ بُتھ۔
خَلافِ توَقع، خلافِ توقواہ۔ییہِ نہٕ وومید آسہِ تی۔

[تِتھےٚ کُنہِ: خلافِ دستوٗر۔ خلافِ شَرع بیترِ]۔
خَلاف وَرزی۔ عۆدوٗل حُکمی ۔ کُنہِ حُکمَس یا قونوٗنس بَرخلأفی۔
خَلافتھ۔م۔مؤل: خلافت <ع: خلافۃ ]۔ا۔ خُلیفہٕ سُنٛد عۆہدٕ یا روتبہٕ۔۲۔ نأیِب آسُن (بادشاہ سُنٛد یا پأغمبر سُنٛد)
خَلأصی (دِنی)۔م۔مؤل: خَلأصی <ع: خلاص]۔ (کامہِ بیترِ نشہِ) موکجار (دیُن)۔
خَلأصی۔ن۔مؤل: خَلأصی <ف: خلاصی <ع: خلاص]۔
ا۔ خمہٕ گنڈُن وول۔ یُس خمہٕ یا ساپیانہٕ بیترِ گنڈنچ کأم کران آسہِ۔۲۔ سُہ مُلأزِم یُس نَلکن آب ترٛاوُنس یا بنٛد کرُنس پیٚٹھ آسہِ یا یُس اَورسیرَس پکراوان آسہِ۔
خَلأیِق۔ن۔مؤل: خلأیِق <ع: خَلایِق]۔ "خَلق" لفظُک جمع۔ خلقتھ۔ لۆکھ۔
خَلِق۔ن۔مؤل: خَلق <ع: خلق]۔ا۔ لۆکھ۔۲۔ ییہِ کینژھا پأدٕ کرنہٕ آو۔ سأرِے زُو ذاتھ۔
خَلقِ خودا۔ خودایہٕ سِنٛز پأدأیِش۔ لۆکھ۔ خلقتھ۔
خَلقتھ۔م۔مؤل: خَلقت <ع: خلقۃ]۔ لۆکھ۔ سبٕھا لۆکھ۔ لکہٕ اَرساتھ۔
خَلوَت۔ن۔مؤل: خَلوَت <ع: خلوۃ]۔ا۔ کُنےٚ زٔژن آسُن۔ خلوَکھ۔۲۔ سوجاے ییتِہ کانہہ کُنےٚ زٔژن آسہِ۔

خلوَ کھ۔ن۔مؤل:خلوَک <ع:خلوۃ=خلو]۔اَکس بیٚیس نِش دوٗرتہٕ بدوٗن۔تنہا۔لوٚب پاٗٹھی۔لَدٕ گن۔
خَم۔ن۔مؤل:خَم <ف:خَم]۔ڈوکھ۔ہَجر۔
خَم اَڑُن۔ڈوکھ اَڑُن۔ہوٗل گژھُن۔
خَم دار۔یتھ ڈوکھ ژامُت آسہِ۔ہوٗل۔
خَم کڈُن۔ڈوکھ ژلراوُن۔
خَم کرُن۔نوٚمراوُن۔
خنجَر۔ن۔مؤل:خنجر <ع:خنجر]۔اکہِ قسمُک چھرٕ یا تلوار۔
خنجَر۔م۔مؤل:خنجری <ف:خنجری]۔ا۔ریٚشمَس چھٹھ ترٛاوُنک اَکھ طریقہٕ۔۲۔اکہِ قسمُک چھٹہِ ریٚشم۔
خنجَری پُشٹھ۔چھٹہِ ریٚشمَس بنامژ (کھرٛ اوِ باپتھ) پُشٹھ۔
خنجَری وانکہٕ۔وانکہٕ پارُنک اَکھ طریقہٕ۔مستَس وانکہٕ گرنچ اَکھ چال (اَمہِ طریقہٕ آسہِ حائی ظہ بیترٕ وانکہٕ پارٛان)۔
خنَدَق۔ن۔مؤل:خندق <ع:خندق] کھےٚ۔ژمیٖنَس کھنہٕ آمُت سرٛون تہٕ کھوٚل دوب۔یتھ اَندر جنگہِ وِزِ فوٗجی سپاہ گولیو نِشہِ بچنہٕ باپتھ یا ہو آیِی حملہٕ وِزِ چھِ بہان۔قلعس یا شہرٕ چہِ قلایہ اَندری اَندری بچاوِ باپتھ کھنہٕ آمِژ تہٕ سَنہِ کھےٚ ہِش۔
خندٕ۔ن۔مؤل:خند <ف:خندہ]۔ہسٕنہٕ گیلنہٕ کِنہِ کانٛسہِ پٹھ آسُن۔ٹھپھ تہٕ ٹانٛہ۔
خندٕ گرٕنی۔ا۔ہسٕنہٕ کِنہِ کانٛسہِ پٹھ) اَسُن ترٛاوُن۔
ٹانٛہ گرٕنی۔ٹھپھ ژٹُنی۔۲۔بےٚ سُند کوٗرمُت کار فِکرِ نہٕ کھسُن۔
خواز / کھواز۔لداوِ باپتھ کھارنہٕ آمُت گرہن تہٕ پچَن ہُند ڈانٛچہٕ۔یتھ پٹھ رۄزِتھ چھان یا ژٕسل تھزرَس تہٕ کام چھِ گران۔
خیال۔ن۔مؤل:خیال <ع=خیل]ا۔سوٗنچ منس اَندر کانٛہہ چیز پھرُن۔۲۔کانٛسہِ ہنٛز فِکرِ۔ پاس ہوٚر۔۳۔حبس۔دیان۔۴۔رایے۔ ۵۔بڑم۔م:تم چھی خیال۔۶۔نظر گذر۔
خیالات۔"خیال" لفظُک جمع۔
خیالِ خام۔بژاٗٹی۔اپٕز رلیہ۔
خیال تھاوُن۔ا۔(کانٛہہ کتھ) ژینتس تھاوِنی۔۲۔حبس تھاوُن۔۳۔نظر گذر تھاوِنی۔
خیال روزُن۔کل آسٕنی۔پوٚت فِکر روزِنی۔۲۔(کانٛسہِ ہُند دیان روزُن۔(کُنہِ کُن حبس روزُن۔۳۔پاس آسُن۔
خیال کرُن۔اَنداز کرُن۔پنٕنہٕ جایہ سوٗنچُن۔
خیال یِن (کانٛہہ کتھ یا واقعہٕ) ژینتس پیوٚن (کلینگ)۔ ظون گژھُن۔دیان پیوٚن۔
خیانَت۔م۔مؤل:خیانت <ع:خیانۃ]۔ا۔اَتھ ژاٗنُن۔ ہیر پھیر کرُن۔۲۔بدنیتی۔دغا۔
خیاٗلی۔مؤل:خیالی <ع:خیال]۔تہٕ یتھ نہٕ کانٛہہ مادی بُنی یاد آسہِ۔
خیاٗلی پولاو۔تہٕ یُژھن یہ نہٕ بنہٕ نی آسہِ۔

خاب ۔ن ۔مؤل: خاب <ف: خواب ]ا ۔یہ کینژھا اِنسان نٔیندرِ منز وُچھِ ۔سوٗپُن ۔۲ ۔یہ نہٕ سہَل سہَل بُتھ ہیکہِ ۔یہِ مَحال آسہِ ۔ناممکن ۔۳ ۔نہٕ بنہٕ وُن ۔نایاب ۔۴ ۔نٔیندٕر۔

خابَس منٛز تہٕ نہٕ وُچھُن ۔ا ۔نایاب آسُن ۔سہَل سہَل نہٕ دَستیاب سپدِتھ ہیکُن ۔نہٕ بنہٕ نی آسُن ۔۲ ۔سبٹھا موٗلُل تہٕ تھدِ پایِک آسُن ۔ یُتھ مؤ ہینٛو وُچھ زبن نہٕ خابَس منٛز۔

خاب خرگوش ۔ا ۔غفلتچ نٔیندٕر ۔۲ ۔سبٹھ ہے لاپَروٲہی۔

خابِ غفلتھ ۔غفلتچ نٔیندٕر ۔بےٚ خبری ۔نٔیندرِ رشکَس۔

خابُ خیال ۔گُمان۔

خاب آسُن ۔نایاب آسُن ۔کُنہِ کُنہِ نظرِ گژھُن ۔ مِ: یتھی اِنسان چھِ وونی خاب۔

خاب ڈیشُن ،وُچھُن ۔نٔیندرِ اَندَر کینٛہہ وُچھُن ۔ سوٗپُن وُچھُن۔

خاب گژھُن ۔(وَرگہِ) نایاب گژھُن ۔سہَل سہَل نہٕ دَستیاب سپدِتھ ہیکُن ۔نابوٗد گژھُن۔

خائِن تہٕ نہٕ آمُت آسُن ۔کانٛسہِ (زُبدٕ شخصَس) مُتلق نہٕ بلکلیے زان اُسنۍ۔

خائِ یُن ۔خابَس اَندَر یُن ۔خابَس اَندَر بوزنہٕ یُن۔

خاتِمِ الاَنبیاؑ ۔<ع: خاتم الانبیاؑ]۔آخری نبی ۔حضرت محمد صؐ اُن لَقب ۔آنحضرتؐ وَنان تہٕ کیازِ تِمن پتہٕ یا پٹھی ہیکہِ نہٕ کانٛہہ نبی اَستھ۔

خاتمِ المُرسلینؐ ۔سارنی مُرسلَن پتہٕ آمُت۔

خاجہ خضرؑ ۔(خواجہ خضرؑ)۔اَکِس مشہوٗر پیٚغمبر سُند ناو۔

خاجہِ زَمان ۔وَقتُک خوجہ ۔ناماوار ۔آسَن وول۔

خاجہِ سَرا ۔ن ۔مؤل ۔خاجہِ سرا <ف: خواجہ+سَرا] ۔ سِدٕ گوٗری یا لاثوٗھ بیترٕ یم بادشاہ ہِنٛدِس مُحلہٕ خانَس اَنٛدر گرکام بیترٕ کرنَس پتھ آسان اُسۍ۔

خارا ۔ن ۔مؤل: خار <ف: خوار ]ا ۔ذٔلیل ۔رُسوا۔ ۲ ۔پریشان حال ۔تَباہ حال ۔۳ ۔آوارٕ ۔دَربدَر۔

خار گژھُن ۔ا ۔تَباہ گژھُن (کانٛسہِ یا کُنہِ پتھ)۔ پریشان گژھُن ۔۲ ۔آوارٕ گژھُن ۔دَربدَر گژھُن۔

خار۲ ۔ن ۔مؤل: خار <ف: خار]۔کوٚنٛڈ۔

خارِ خس ۔ژھوٚٹھ بیترٕ ۔خوٗنشہِ ۔کوٚڑ۔

خارزار ۔یتھ جایہِ واریاہ کٔنٛڈۍ دوپھ آسَن۔

خارِجہ ۔مُلکہِ کِمن نیٚبرِمین اومؤرَن مُتعلق (شوٗبہٕ)۔

خارِ/ خارِ خارِ ۔ن ۔مؤل: خار <ف: خار]۔ا ۔ٹٔھ تلخہٕ ۔آرگور ۔۲ ۔کھرٕ دوٚ ۔شر ۔اَمار ۔۳ ۔آزُروٗن۔ کانٛسہِ ہُندِ اَنٛدری دَزُن ۔۴ ۔حَسد۔

خاربازی ۔(اورِ یور) کینہٕ۔

خارِ تُلُن ۔دُشمنٕت کرُن۔

خارِ روزُن ۔کینہٕ روزُن ۔کانہٕ تَل روزُن۔

خاستگاری ۔زارِ پارٕ کٔرِتھ کینٛہہ منٛگُن۔

خاص ۔ن ۔مؤل: خاص <ع: خاص=خص ]۔ا ۔کُنہِ اَلگ صِفتہٕ کِنۍ سارِنے نِشہِ بیوٚن ۔کُنہِ بیوٚن

خاصیُو٘ کنۍ زیادٕ توَجہ دِنٕس لایق یتھ اَندَر کانٛہہ
اَلگ خوٗصوٗصیتھ آسہِ۔ ۲۔ کُنہِ گنٛڈِتھ کامہِ
باپتھ ژار نہٕ یا بنادنہٕ آمٕت۔ ۳۔ کانٛسہِ ہُنٛد
ذأتی۔ پنٕنۍ نوأندٕر۔ ۴۔ ژأرِتھ کوٚڈمُت۔

خاصُل خاص۔ سارِۍ نٕے سَرٕس۔ سارِۍ نٕے تھوٚد۔
سارِۍ وِ ے کھوتہٕ خاص۔

خاص خاص۔ لأزِم دَر (پٕژھی بیترِ) کانٛہہ کانٛہہ ژأرِتھ۔

خاص کٔرِتھ۔ ۱۔ ژٔری پأٹھی۔ یژھ پأٹھی۔ ۲۔ کُنہِ گنٛڈِتھ
خاصیُو٘ کنۍ۔ کُنہِ اَلگ صِفتہٕ موٗجوٗب۔

خاصہٕ۱۔ ن۔ موٗل: خاص <ع: خاصۃ]۱۔ پُرٕ۔ اَکھ زأویُل
سوٗتی کپُر۔ مَلملہٕ کپُر۔ ۲۔ خاصہٕ کپُرچ پوٚژ۔

خاصہٕ۲۔ ن۔ موٗل: خاص <ع: خاص = خَص]۔ وُچھو
"خاص۔"

خاصہٕ پأٹھی۔ جان پأٹھی۔ شیر تھ تہٕ پٕرتھ۔

خاصہٕ موٚہنیو۔ یُس پٕرتھ رَنگہٕ شوٗبہ دار آسہِ۔

خاصہٕ بَردار۔ ن۔ موٗل: خاصہٕ بَردار: ف: خاص بَردار]۔
بٕڑوٚنٛتھ وألی۔ بادشاہَس یا اُمیرَس بیترِ سوارِ
بٕڑوٚنٛتھ بٕڑوٚنٛتھ پکَن وألی۔

خاقان۔ ن۔ موٗل: خاقان <ترکی/ف: خاقان]۔ چیٖن
تہٕ تُرکستان کین بٔڑین بادشاہَن ہُنٛد لقب۔

خاکِ شفا۔ ن۔ موٗل: خاکہِ شفٕ <ف: خاک + ع:
شفا]۔ کُنہِ اَستانہٕ بیترِچ میٚژ یُس بیمار بیترِ پأنٕس
مَتھان چھِ زِامہِ ءستی گژھن سارِۍ دأدٕ دوٗر۔

خاکہٕ۔ ن۔ موٗل: خاک <ف: خاکہ]۔ ۱۔ حَدبٔندی
ہُنٛد نقشہٕ۔ ۲۔ ٹھپہٕ۔ ڈِزأن۔ اَکار۔ ۳۔ کُنہِ
کِتابہٕ بیترِ ہُنٛد ژھوٚٹ۔

خاکہٕ ترٛاوُن۔ نقشہٕ کأم کرنہٕ بٕڑوٚنٛتھ یا تلہٕ بیترِ
چھاونہٕ بٕڑوٚنٛتھ پلوٚس یا بیٚیہٕ کُنہِ چیٖزَس نِشانہٕ
باپتھ ٹھپہٕ ترٛاوُن۔ چھاپٕنھ ترٛاوُن۔ ڈِزأن
کھارُن۔ آکار بناوُن۔

خاکروب۔ ن۔ موٗل: خاکروب <ف: خاکروب]لٕژھہ
ڈُون وول۔ صفأیی کَرَن وول۔ واتُل۔

خاکسار۔ موٗل: خاکسار <ف: خاکسار]فقیر، یُس نہٕ
کانٛہہ بَجر یا بٕڑٕمی آسہِ۔ یہ چھِ ہَرُر ہاونہٕ
خأطرٕ پانَس وَنان۔

خاکسأری۔ ہَرُر۔ اِنکسأری۔ عأجزی۔

خاکھ۔ م۔ موٗل: خاک <ف: خاک]۱۔ میٚژ۔ گرٕد۔ لٕژھ۔
سوٗر۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) شِکَس۔ ذِلتھ۔ تبأہی۔

خاگس پیٹھ بہُن۔ (مألی لحاظہٕ)۔ تباہ گژھُن۔
گُذار نہٕ روزُن۔ صوٗرتھ نہٕ روزٕنۍ۔

خاگس پیٹھ بیہناوُن۔ تباہ کرُن۔ کانٛہہ صوٗرتھ
نہٕ تھوٗنۍ۔

خاگس پیوٚن۔ بلکل غریب گژھُن۔ شَب دَرشام
نہٕ روزُن۔ گُذارٕچ کانٛہہ سبیل نہٕ روزٕنۍ۔ لٕژھہ
گژھُن۔ میٚژِ ءستی میلُن۔

خاگس ءستی رَلاوُن/ مِلناوُن۔ پتھرِ پاوُن۔ کُنہِ

لایق نہ تھاوُن۔

خاکس ستی رلُن، میلُن۔ سیٹھا غریب گژھُن۔ کُنہ نہ کینہہ روزُن۔ تباہ تہٕ برباد گژھُن۔ ذلیل گژھُن۔

خاکہٕ بہُن۔ تباہ گژھُن۔

خاکِ پا۔ کھورٕک مَل۔ (وَرگہٕ پأٹھی) نوکر۔ غولام۔ (یہِ چھِ یُتھٕ پأٹھی ہژٕر بیترِ ہاونہٕ پڈھی وَنان)۔

خاکِ سِیاہ۔ (وَرگہٕ) کہنی نہٕ۔ نوتھ۔

خاکھ بَسَر/خاکِ بَسَر (گژھُن)۔ (وَرگہٕ) پریشان۔ پُراگندٕ۔ حأران۔ دَربدَر (گژھُن)۔

خاکھ تہٕ نہٕ۔ کہنی نہٕ۔ رَژھ تہٕ نہٕ۔

خاکھ دامأنی۔ ۱۔ میژ مُری تژاوٕنی۔ یہِ چھ تیلہٕ گران ییلہِ پننین پیٹھ ژوٗرِ ہُند شکھ آسہِ تہٕ یُتھ زَن تم ژوٗرِ نیٚوٗمُت چیز میژِ ستی کُنہ کھٹِتھ جایہِ تژاوَن۔ یُتھ نہٕ ژوٗرَس نبر گژھِ۔ کأنسہِ مِسکینہٕ سِنٛد باپتھ چنٛدٕ سوٗ میراوُن۔

خاکھ کَرٕنی۔ تباہ کَرُن۔ تکلیف دِین، تھکناوُن۔

خاکھ کڈٕنی۔ کانہہ صوٗرَتھ نہٕ تھاوٕنی۔

خاکھ گژھٕنی۔ ۱۔ ڈاکھ گژھُن۔ تباہ گژھُن۔ ۲۔ رُسوأیی گژھٕنی۔

خاکھ نشین۔ ہژٕر لد۔ سُہ یُس نہٕ تکبُر آسہِ۔

خاکھ نشینی۔ ہژٕر۔ عأجزی۔

خاکھ نیرٕنی۔ سیٹھا پریشان گژھُن۔ تباہ گژھُن۔

خاکھ وُڈٕنی۔ کہیں نہٕ روزُن۔ تباہ تہٕ بوٚرباد گژھُن۔

خال۱۔ ن۔ مؤل: خال ح ع: خالِ = خول/خیل]۔ ۱۔ لُکھچِن۔ ۲۔ سورمہٕ تُجہِ ستی بُتھس پیٹھ تژاونہٕ آمُت لُکھچِن ہیوٚہ کرٕہُن داغ۔ ٹِکہٕ۔ ۳۔ نِشانہٕ یُس گپُنَن بیترِ بَدٕ کڈٕنہٕ موکھ چھِ تژاوان۔

خال تژاوُن۔ ۱۔ نِشانہٕ تژاوُن۔ آکھ تھوٗن۔ یتھ پَرٕزناوُنس منٛز سہوٗلت سپدِ۔ ۲۔ بُتھس سورمہٕ یا میلہِ بیترِ ستی نِشانہٕ تژاوُن۔

خال دار۔ ۱۔ نِشانہٕ دول۔ یُس کُنہ چیز یا نِشانہٕ کَنٛز پَرٕزناونہٕ ییہِ۔ ۲۔ سُہ گُرٕ یمِس گلوانہٕ سُنٛد خاص قِسمُک نِشانہٕ تژأوِتھ آسہِ۔

خال ڈالُن۔ گلوأنس یا ژوٗرِ سُنٛد ژوٗرِ أنی یمِس چار وأیِس پرٕزون نِشانہٕ ڈألِتھ نوٚو نِشانہٕ تژاوُن۔

خال وُچھُن۔ گُرِس گپُنس بیترِ تھوٚومُت نِشانہٕ وَنہٕ کڈُن۔

خال۲۔ مؤل: خال ح ع: خال]۔ ۱۔ زانہہ کألی۔ شاذ۔ کُنہِ وَقتہٕ۔ ۲۔ سیٹھا کم۔ کُنہ کُنہِ۔ ۳۔ کانہہ کانہہ۔

خال خالے۔ ۱۔ مُنٛزی کُنہ وِزِ۔ باضے۔ کُنہ ساتہٕ۔ پرٛتھ وِزِنہٕ۔ ۲۔ مُنٛزی کانہہ۔ سأری نہٕ۔

خام۔ ن۔ مؤل: خام ح ف: خام]۔ ۱۔ کوٚچ۔ اوم۔ یہِ پۆپھمُت آسہِ۔ یہِ نہٕ پوٚختہٕ آسہِ۔ ۲۔ (دود بیترِ) اَگور یا اَزدوٗ۔ ۳۔ یہِ نہٕ ڈٕرتھ ہیکہِ۔ یہِ نہٕ دَروٗمُت آسہِ۔ ۴۔ یپہِ نَے۔ پاکہٕ لَنہٕ نَے۔ ۵۔ اصل مِہوٗ یا وَٹہٕ)۔ اصلہِ کھوتہٕ کم۔ کأتُر وَٹہٕ یا مہوٗ۔ ۶۔ (عیال

بیتر) وٲنسہٕ کِنۍ لوٗٹ۔ لوکٹین لوکٹین شُر بن ہُنٛد (عیال)۔ ۷۔ (کٲم کاربیتر) اَڈلیوٚک۔ پوٗرٕ نہٕ سَپدُمُت۔ نامکمل۔ ۸۔ یُس لوٗرلاگہِ۔ یُس ڈٔسی پایہِ لاگہِ۔ ۹۔ آپھُر۔ ناتجربہ کار۔ یُس نہٕ پَے پُرٕ کارٲسہِ۔ اَڈٕ پھٕل۔ ۱۰۔ نِصف۔ م۔ خام روپَے۔

خامَس نَم دیِٚن۔ (وَرگہٕ) تَیار گژھنہٕ برٛونٛہہ گُنہِ چیزَس ستی سیتھ دِنۍ۔ بےٚ تاب لاگُن۔

خام پٲنسہٕ۔ اَکھ پرٛون کٲشُر ضرب۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) سبٹھا کم۔

خام تَب۔ پوٗرٕ پٲٹھۍ کرنہٕ وۄتھمُت تَب۔

خام تیٖل۔ اَکوٗر تیٖل۔ وارٕ پٲٹھۍ نہٕ کارنہٕ آمُت تیٖل۔

خام خیال۔ کُنٛہہ یَژھ۔ تہٕ یِژھُن یِہ نہٕ سَپدِتھ ہیٚکہِ۔ تہٕ یِہ نہٕ بَنِتھ ہیٚکہِ۔ برٛونٛت، وَہمہٕ۔ گُمانہٕ

خام روپَے۔ پرٛٲنۍ کٲشُر روپَے یوٚسہٕ اَزۍ کِہن اُٹھن آنن برابر ٲس۔ اَڈٕ روپَے۔

خام سیر۔ پَیہٕ نَے سیر۔ سیر یوٚسہٕ نہٕ (کوٚنڈ مِنٛز) پیٚنہٕ آسہِ آمُت۔

خام سیر۔ اَکھ کوٗشُر وَٹہٕ یُس انگریزۍ وَٹہٕ کھوتہٕ وَزنہٕ کِنۍ کم چھُ آسان۔ ساڑٕ ترٕٛ واہ چھٹانگ وَزن۔

خام طمع۔ یُس سَخ طمع آسہِ۔ لالچی۔

خام طمع تہٕ اَپزۍ یور۔ لالچی چھُ یِژھ پٲٹھۍ بَدنیٚتھ آسان

خام عیال۔ تِم شُری مُری یِم ڈُنہٕ مٲلِس ماجہِ پتہٕ آسَن۔ نابالغ تہٕ نہٕ زینہٕ وٕنۍ شُری مُری۔

خامکار۔ یُس کٲم کارٕ پوٗرٕ پٲٹھۍ تگان آسہِ نہٕ۔ یُس نہٕ کارِچ پوٗرٕ زان آسہِ۔

خام کوٚنڈ۔ ۱۔ سو کوٚنڈ یوٚسہٕ کھٔرِ مِنٛز آسہِ نہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) خام عیال۔

خامہٕ۔ ن۔ موٗل: خام حف: خام]۔ سیٚمٹھ سِلیب بیتر ترٛاونہٕ خٲطر بَناونہٕ آمُت پچِن ہُنٛد کوٚچ سانٛچہٕ ہیٚو یُس مَصالہٕ سخت گژھنہٕ پتہٕ کڑنہٕ چھُ یِوان۔

خامخاہ۔ موٗل۔ خامخاہ حف: خواہ مخواہ] اَتھہٕ ناتھہٕ۔ اَکھتھ۔ بٕلۍ۔ ہنگہٕ تہٕ منگس پتھ۔ کُنہِ وَجہِ وراۓ۔

خاموٗش۔ موٗل۔ خاموش حف: خاموش] ۱۔ ژھوپہٕ۔ ۲۔ ژھوپہٕ دَم کرِتھ۔ یُس ژھوپہٕ کرِتھ آسہِ۔

خاموٗشی۔ ژھوپہٕ۔ شور شُر نہٕ بِلکُل آسُن۔ کانٛہہ سر گرنہٕ آسُن۔

خان۱۔ ن۔ موٗل: خان حف: خان]۔ ۱۔ اَکھ لقب۔ ۲۔ اَکھ کرٛام یوٚسہٕ یِژھ پٲٹھۍ پٹھان تھاوان چھِ۔ ۳۔ کٲشِرۍ پٲٹھۍ چھِ گُجرَس تہٕ وَنان۔

خان۲۔ (خوان)۔ ن۔ موٗل: خان حف: خوان]۔ ۱۔ مجمہٕ۔ ٹیٚچ۔ بوٚڈ تھال ہیٚو۔ توٚھہٕ۔ (رٔنۍ مِنٛز ضیافژن ہُنٛد یا موٕ مِٹھاین ہِنٛدی)۔

خانہٕ ژوٚچہٕ۔ بَجہٕ فرمٲیشی ژوٚچہٕ یِمہٕ کھانٛدرَس کھوٚنٛدرَس یا کُنہِ خوشی بیتر پتھ سوٗنۍ ساٹہِ اَکھ اَکھ اَکِس چھِ سوزان۔

خان بڑا خان بڑا مِنٛز باگ چھُس ژوٗٹ اَڈا۔

ا۔تِمہٕ وِزِ وَنان ییٚلہٕ ووسہٕ دژ وسہٕ آسہٕ سبٕٹھا اَماپوٗز زٔخر چا بَرچاموٚحصِرٕ ے۔ژھرِ سےٕ ئِلّو ووسہٕ دژ وسہٕ آسنہٕ ۔ژھوٗ رُے ہاو باو۔۲۔تیلہٕ تہٕ وَنان ییٚلہٕ کانٛسہٕ ناوتھوٗ دآسہٕ تہٕ تلہٕ کُنہٕ آسہٕ ژھوٗ رُے۔م۔ناوتھوٗ دتہٕ نٕستہٕ زٔوٗ د۔

خان پوش۔خانٛک سَر پوش۔

خانٔہ خودا۔ا۔خوداینہٕ سُند گرٕ۔تہٕ ذٕ پتھ گو مکہٕ شریف ییٚتہٕ خانۂ کعبہٕ چھُ۔۲۔مَسجد۔

خانہٕ۔ن۔موٗل:خان<ف:خانہ]۔ا۔گرٕ تہٕ گرکی بأژ ہیتر۔ ۲۔ڈٔبس،صوٗندوٗقس یا اَلمارِ ہیتر بیوٗن بیوٗن گنڈنہٕ آمتۍ حِصہٕ یا طاق۔(میزٕک ہیتر) دَراز۔۳۔شَطرنج پٔٹیک ژُ کوٗنجَل نِشانہٕ ییتھ) اَنٛدَر موہر چھِ ودنی آسان۔۴۔کاکذس،گیٛپرس پتھرس یا بییہ کُنہٕ چیزَس رِ کھٕ دِتھ بناونہٕ آمٕت ژُ کوٗنجَل نِشانہٕ۔کانٛہہ چیز تھوٗنہٕ باپتھ یا کُنہٕ خاص کامہٕ خاطرٕ مُقرر کرَنہٕ آمٕژ جاے۔م:کُتب خانہٕ۔شراب خانہٕ۔۲۔سو جاے ییٚتہٕ کانٛہہ دفتر چلاونہٕ ییہٕ۔م:ڈاک خانہٕ۔

خانہٕ بَدوش۔ا۔یُس گرٕ یُک ڈیرٕ ڈٔکہٕ تہٕ لوٚہ لنٛگر ہیتھ اکہٕ جایہٕ پٮ۪ٹھہ بییہٕ جایہٕ پھیران آسہٕ۔یَس نہٕ کُنہٕ جایہٕ کانٛہہ مُستقِل ٹھکانہٕ آسہٕ۔یُس گٔلس پٮ۪ٹھ ڈیرٕ ہیتھ پھیران آسہٕ۔۲۔آوارٕ۔ دَربدَر۔وَتہٕ وَتہٕ پھیرَن وول۔وَنہٕ راوٗل۔

م:گُلو فقیر۔

خانہٕ جاداد۔گرٕ وٮ۪ٹھ۔

خانہٕ جنٛگی۔گرٕ لڑٲے۔گرٕ فساد۔گرکین بأژَن ہنٛز پانہٕ وأنی ہرہَر۔ے۔نیاپہٕ نیاے۔

خانہٕ خَراب۔یَس گرٕ بار روومُت آسہٕ۔یَس نہٕ کِہیں تہٕ آسہٕ روٗ دمُت۔دَربدَری لَد۔

خانہٕ دار۔ا۔گرٕک مأ لِکھ۔گرٕ وول گرٕک زیٹھ۔ ۲۔روٗن۔بَرتھا۔م:خانہٕ دارٕ ینٛی۔

خانہٕ داماد۔گرٕ زامٕتر۔گرٕ پٮ۪ٹھ اوٚنمُت زامٕتر۔

خانہٕ دأری۔گرٕ ک لوٚہ لنٛگر چلاوُن۔خانہٕ دارٕ ہنٛز کأم۔گرٕ گرٕ ہتھ۔

خانہٕ دوختَر۔سو کوٗریَس گرٕ پٮ۪ٹھ اوٚنمُت آسکھ۔ یوسہٕ نہٕ اَنٛد آسہٕ آمٕژ کڈنہٕ۔

خانٛگی۔گرٕ کٕلی۔

خانہٕ ماجَر۔مَہامَہا۔ژوٗرٕ ٹاٹھنیار(شُرِس ہیتر)۔شُرِس ژوٗٹھ آسنہٕ کِنۍ لولہٕ مَتہٕ لاے۔ژوٗٹھ آسنہٕ کِنۍ شُری ہنٛز پٮ۪تھ کانٛہہ کتھ مانٛنۍ۔شُر نکھس کھالُن۔

خانہٕ ماجَر کرُن۔مَہامَہا کرُن۔ژوٗرٕ ٹاٹھنیار کرُن۔حدٕ کھوتہٕ زیادٕ ماے بَرنۍ ییمہٕ سٟتۍ شُر وَتہٕ ڈلہٕ۔ (شُر) نکھس کھارُن۔

خانہٕ ماجَر گرٕ ژھُن۔زیادٕ ٹاٹھنیارٕ کِنۍ (کانٛہہ شُر) نکھس کھسُن۔خراب گرٕ ژھُن۔

خانہٕ ماجَن تانہٕ باگے۔تہٕ ذٕ پتھ گو کوٗرِ کأژ اتہٕ

خانہٕ مأج اُسی تَن تَس چھ جورٕ پَنہٕ نی قِسمَتہٕ یِوان۔ خانہٕ ماجہِ نے چھِ تِتھی تہٕ تِتھی خانہٕ دار باگہِ یِوان۔

خانہٕ مالِلبِن چھےٚ آنہٕ مانٛے گژھان۔ تَمہِ وِزِ وَنہٕ یِوان ییٚلہِ خوٚنہٕ ستۍ زِچھِ تِمَن شُر بن گَنہٕ پتہٕ کَنٛز بے قدری چھےٚ گژھان۔

خانہٕ مالِلبِن نہٕ کوج تہٕ پردبن مُمز۔ نہٕ آسنَس مَنٛز پَنٛزٕ مُشر اُوتھ بیٚیِن ہُنٛد دود ہیوٚن۔

خانہٕ مأج۔ یوسہٕ ٹاٹھِنیارٕ سان رَچھنہٕ ییہِ۔

خانہٕ مول (ل۔م)۔ گرٕ یِگ زیٚٹھ۔ گرُک مول۔ تہٕ ڈُپتھ گو نیٚچوِیَس سأری بأژ لولہٕ مَتہٕ لاے آسَن کران۔ ٹوٹھ ہیوٚ نیٚچو یارِشتہٕ دار۔

خانہٕ نِشین۔ کوٚرِیَس گرِ پیٹھ اونمُت آسکھ۔ یَس کورِ خانہٕ دار گرِ پیٹھی آسہِ۔

خانہٕ واد۔ (یِگ جُدی) داریاہ گرٕ۔ ۲۔ خاندان۔ ۳۔ (وَرگہٕ پأٹھی) تھوٚد خاندان۔

خانہٕ دأرأنی۔ گرٕ دأران گژھُن۔ وُجارگی۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) خانہٕ دارٕ ستۍ زٕ مَرنہٕ کَنٛز گرٕ چ تبأہی۔

خانہٕ وُجأری گژھنۍ۔ گرٕ تَباہ گژھُن (نارٕ۔ ماریا ژوٗرِ بیترِ ستۍ)۔

خانِقاہ۔ ن/م۔ موٗل: خانِقاہ < ف: خانہ+گاہ/ع : خانقاہ] ۱۔ اَستان۔ کأنٛسہِ بُزرگہٕ سنٛز جاے۔ زِیارتھ۔ ۲۔ سرینگرس مَنٛز حضرتِ اَمیرِ کبیرؒ سُنٛد آستانِ شریف۔ اَمیرِ سُنٛد۔ شاہِ ہَمدانؒ صأبُن اَستان۔ ۳۔ سوزِیارتھ یوسہٕ اعتِکافٕچ تہٕ دَرس گاہُچ کأم تہٕ اُس دِوان۔

خانِقأش۔ خانِقاہکۍ بابہٕ۔ اَستانکۍ مُجأوِر۔ (یِژ پأٹھی شاہِ ہَمدانہٕ سنٛز زِیارژ ژھنٛدی)۔

خانٛچہِ۔ ن۔ موٗل: خانٛچ < ف: خوانچہ] ۱۔ تگارٕ یتھ کٔنتھ پأٹھ کأرِ رومُت چیز کِنان چھِ۔ ۲۔ داں دَل۔ دانٛبس داں مشینہٕ لَدٕ ردِنہٕ آمُت گوڈنیُک دَل۔ ییمہٕ ستۍ دانٛبس کٔیسرٕ ےیأژ چھےٚ نیران تہٕ توٚملہٕ پھلہِ چھِنہٕ پھُٹان۔ ۳۔ (وَرگہٕ پأٹھی)۔ کھیٚن خوردَن۔ کھیٚن بیترِ۔

خاندان۔ ن۔ موٗل: خاندان < ف: خاندان] عیال۔ کژون۔ قَبیلہٕ۔ کوٹمب۔ گرِکی بأژ۔

خاندأنی۔ ۱۔ جان گرُک۔ تھدِ قَبیلُک۔ کوٗلیٖن۔ ۲۔ اصل ذأژ ہُنٛد۔ شریف تہٕ نیک۔

خانٛدٕ۔ موٗل: خانٛد < ف: خواندہ]۔ یَس پَرُن لیکھُن تگان آسہِ۔

خانٛدگی۔ پَرُن لیکھُن تگُن۔

خان صأب۔ کٔشیرِ ہُنٛد اَکھ بُزرگ ییٚمہٕ سنٛز زِیارتھ خان صأبنہٕ گامَس مَنٛز چھےٚ۔ اَتہِ چھُ پرٕتھ وُری یہٕ ہَر دَس مَنٛز بوٚڈ مالہٕ لگان۔

خاوَنٛد۔ ن۔ موٗل: خاوند < ف: خاوند] روٗن۔ خانہٕ دار۔ بَرتھا۔

خاہ۔مؤل: خاہ<ف: خواہ]ا۔یُژ دوٚے۔اَگر۔چاہے۔

۲۔یژھُن وول۔م: خاَرخاہ۔بَد خاہ۔

خَبیث۔مؤل: خَبیث <ع: خَبیث =خبث ]۔بَدخمیر۔

بَدکِردار۔کمینہٕ۔شیطان۔

خَجِل۔مُل: خَجِل<ع: خَجِل ]۔رُسوا۔یُس نہٕ بُتھ ویٚن

لایَق آسہِ روٗدمُت۔یَس وُقر والنہٕ آسہِ آمُت۔

خَجِل تہٕ خار۔وَربَدرتہٕ رُسوا۔ذٔلیل تہٕ تَباہ حال۔

سیٚٹھا بَد نام۔

خَجِل زَدَس چھُ بَرابَر ے۔یہِ چھ تَس شَخصَس

وَنان یُس ناکارٕ وَرتاوٕ کٔنِ بَد نام آسہِ گومُت تہٕ

ووٚنی آسہِ نہٕ مَنٛد چھاونہٕ پَنٕس کھوژان۔یمی

بکُرٛ آسہِ پوٚیمُت تَس چھےٚ نیک نأمی تہٕ بَدنأمی

کُنی گَتھاباسان۔

خٔدمَتھ/خٔدمَتھ۔م۔مؤل: خدمت <ع: خدمة=خَدم ]

نوکری۔نوکرٕ سنٛز کام۔ٹہٕلی۔مألِس ماجہِ ہنٛز یا

کأنٛسہِ زِٹھی سنٛز فرمان بَردأری۔

خٔدمَتھ گار۔خٔدمَتھ کَرُن وول۔نوکر۔موٚہنیو۔

خٔدمَتھ گیہِ عظمَتھ۔کأنٛسہِ ہنٛز فرمانبَردأری کرنسیٚ

منٛز چھےٚ بجأیی تہٕ کامیأبی۔کأنٛسہِ ہنٛز خٔدمَتھ

کرنہٕ سٟتی چھُ اِنسان تھزرَلبان۔

خٔدمَتھ گُذار۔فرمانبَردار۔

خٔدمَتھ واتنۍ۔خأطِر واتُن۔پیالہٕ بَردأری سَپدٕنۍ۔

کُنہٕ رَنگہٕ نہٕ تکلیف واتُن یاوبَڈ ھے روزٕنۍ۔

خٔدمَتھ ووٚنۍ۔وُچھو"خٔدمَتھ واتنۍ"

خَرٕنۍ۔خَرٕ سنٛز ماد۔

خَر۔خَرٕنۍ۔م: خَرزایہِ باہ بارژوٗلُس نہٕ زاہ۔

خَرید۔مؤل: خَرید<ف: خرید]۔مُلی ہیوٚتمُت۔

خرید کرن۔مُلی ہیوٚن۔

خَریدار۔م/ن۔مؤل: خریدار <ف: خریدار ]ا۔خَرید

کَرَن وول۔یُس پونٛسہِ دِتھ کانٛہہ چیز مُلی ہیٚیہ۔

گرٛاکھ۔۲۔یُس کأنٛہہ چیز ژھانڈان آسہِ۔

طَلَب گار۔

خَریدأری۔ا۔مُلی ہیوٚن۔مُلی ہینٛج کأم۔۲۔گرٛاکے

(بازرَس ہیٚترِ اَندَر) کُنہٕ چیزٕچ مَنٛگ۔

خَریف۔ن۔مؤل: خَریف<ع: خریف=خرف]۔سُہ

فصل یُس سونٛتہٕ وَونہٕ تہٕ ہَرٕدِ لوننہٕ ییہِ تہٕ دٕپتھ

گودانہٕ۔مکأے ہیٚتر۔

خُرکِفہٕ۔<ع: خرفة]۔رٔزیلہٕ۔سیٚژول۔وَنہٕ راوٗل۔

خٔصی۔ن۔مؤل: خٔصی <ع: خٔصی ]۔آختہٕ کوٚرمُت۔

شوٗنژروٗمُت۔داند یا کوٚکُر ہیٚترِ یَس نَسل کٔشی

ہُندقوَتھ خَتم کرنہٕ آسہِ آمٕت۔

خٔصی کَرُن۔آختہٕ کَرُن۔شوٗنژراوُن۔

خَفیف۔مؤل: خَفیف<ع: خفیف=خَف]ا۔رُسوا۔ذٔلیل۔

خَجِل تہٕ خار۔بےٚ یژتھ۔شَرمَنٛدٕ۔کیٚتھ تام ہیوٚ۔

۲۔قلیل۔سیٚٹھا۔کم۔محاوٗلہ۔م۔ضَربِ خَفیف۔

خَلِش۔م۔مؤل: خَلِش (خلش]ا۔سوٚنہِ ترٛچ ہِش

دَگ۔۲۔اَکھ اَکی سٕتۍ رٔنجش ۔مُژکری۔
۳۔(وَرگہٕ پٲٹھۍ)۔اَرمان۔حسرتھ۔

خٔلیفہٕ۔ن۔مۆل:خٔلیف<ع:خلیفۃ]۔ا۔نأیب۔قأیم مقام۔جانشین (خاصکٔرتھ حضرت محمدؐ صأبٕنس پَتہٕ عَربَس تہٕ شامَس اَنٛدر رٲژ کومَتھ کٔرن وٲلۍ)
۲۔بادشاہ۔رٲژ کوٗمَتھ کٔرن وول۔

خٔلیل اللہ۔ن۔مۆل:خٔلیل اللہ<ع:خلیل+اللہ]۔
خوٗدایہ سُنٛد دوس۔حضرتِ ابراہیمؑ سُنٛد لقب۔

خٔمیازٕ۔ن۔مۆل:خٔمیاز<ف:خمیازہ۔]نتیجہ۔یہِ کوٚر مُت یاوَرتومُت آسہِ تمیُک پھَل۔بدلہٕ۔جزا۔

خٔمیر،خٔمیپر۔م۔مۆل:خٔمیر<ع:خمیر=خمر]ا۔اَڈرَن۔
۲۔خٔصلتھ ذاتھ بُنۍ یاد۔۳۔بُنفشہٕ بیترِ پوشن بَنادنہٕ آمُت موربہٕ چالہِ دَوا۔م:خٔمیر بنفشہٕ۔خٔمیرِ ہٕش۔خٔمیر گاہ زبان۔۴۔اَڈرأوِتھ اوٗت۔یتھ ژوکہٕ آسہِ کھوٚتمُت۔

خٔنزیر۔ن۔مۆل:خٔنزیر<ع:خنزیر]۔ا۔سور۔وَن ہوٗن۔۲۔(وَرگہٕ پٲٹھۍ)موٗگرتہٕ بدذات اِنسان۔ بےٚ ایمان۔

خأتمہٕ۔ن۔مۆل:خأتم<ع:خاتم]۔ا۔اَنٛد۔اَنجام۔کُنہِ چیزُک پتِیم حِصہٕ۔۲۔سوعبارَتھ یوسہٕ کُنہِ کِتابہِ پَتو لاگن لیکھنہٕ چھےٚ یِوان۔۳۔(وَرگہٕ پٲٹھۍ) ناش۔موتھ۔کھاتہٕ پھیتہٕ۔

خأدِم۔ن۔مۆل:خأدِم<ع:خادم=خدم]۔ا۔نوکر۔ٹہلی۔
خدمتھ گار۔موہنیو۲۔(وَرگہٕ پٲٹھۍ)۔اَستانہٕ بیتریُک خدمَتھ گار۔۳۔مُرید۔یُس پیرَس مانٛگلے آسہِ دِوان۔

خٲر۔ن۔مۆل۔خٲر<ع:خیر]۔ا۔پاپرجأیی۔بجأیی۔
۲۔اۆرزۆر۔تندرُستی۔۳۔تِتھ موٗقس پٮ۪ٹھ تہٕ وَنان ییٚلہٕ یتھ تِتھ کانٛہہ گتھ مانٛنی پییہِ۔

خٲرَس شَر کٔرُن۔نیکی کٔرنَس مادضہٕ اورِ بدی کٔرٕنۍ۔ رٕتَس کرُٹ کٔرُن۔

خٲرَس شَرَس بکاریُن۔شادِ تہٕ غمَس پکرُن۔رِتہِ کرِتہٕ وِزِنکاریُن،ضوٗرژٔرتہٕ وِزِ اَتھ بنٛدُت کٔرُن۔

خٲر پاٹھ۔رِژٔر پاٹھ۔خوش خَبَر۔یہِ کانٛسہِ سمکھنہٕ وِزِپزٕ ژھنہٕ پییہِ۔

خٲر پاٹھ کٔرُن۔اَلی واکھ کٔرُن۔رِژٔر پاٹھ کٔرُن۔ اَہی پٲٹھ پزٕ ژھن۔

خٲر خَبَر۔خَبر اَتر۔

خٲرَسلا۔اَچھا۔جان گو۔پَتھ یہِ گوتہٕ تزٕ اَوتھ۔ یہِ چھِ کانٛہہ گتھ یامامِلہٕ بیترِ اَنٛد نہ واتنَس پٮ۪ٹھ تہٕ پانَس تَسلا دِنہٕ وِزِ وَنان۔

خٲر شَر چھُ آمُتے۔دُنی یاہَس منٛز چھےٚ نیکی تہٕ بدی آموٚے۔جأنی ناکارِگی چھےٚ پگوٗنی۔

خٲراتھ۔ن۔مۆل:خٲرات<ع:خیرات=خیرۃ]۔نقدٕ یاجِنسہٕ رٔنگی اِمدادیُس کانٛسہِ موٗحتاجَس یاغریبَس

ہمدردی کَنہٕ خودلیہٕ ہَنٛد طَرفہٕ دِنہٕ یِیہ ۔ سُہ مَدَدیُس ژَولیہٕ باپتھ کانٛسہٕ دِنہٕ یِیہ ۔ دان ۔

خأراتھ خانہٕ ۔ سوجاے یۄتہٕ خأراتھ بأگرنہٕ یِیہ ۔

خأراتھ خور ۔ خأراتھ رَٹٕن وول ۔ بیچھِ وُن ۔ ژھیٛڑ خور ۔ یَس بیچھن ڈُنڈ آسہِ ۔

خأراتھ مَنٛگُن ۔ ا ۔ بیچھُن ۔ اَتھہِ دارُن ۔ ۲ ۔ (کانٛہہ چیز) مُفتے حاصِل کَرنَچ کوٗشِش کَرٕنۍ ۔

خأرِج ۔ مؤل؛ خأرِج <ع: خارج ۔ خَرَج] ۔ ا ۔ (مَدرَسہٕ بیترِ منٛز) کَڈنہٕ آمُت ۔ کُنہِ جَماتہٕ منٛز کَڈِتھ ژھُنمُت ۔ ۲ ۔ (عَدالتہٕ منٛز مُقدمہٕ بیترِ) ڈِگری یا سَزادِنہٕ وَرأے خَتم کوٗرمُت ۔ موکلوٗمُت ۔

خأرِج اَز بحث ۔ سوٗکتھ ییمیُک نہٕ سوالے آسہِ ۔ سوٗکتھ یا مامِلہٕ بیترِ یَتھ پیٹھ کینٛہہ وَنُن یا سوچُن باتھے آسہِ نہٕ ۔

خأرِج گژھُن ۔ ا ۔ مَدرَسَس بیترِ منٛز) ناوژھٕبُن ۔ ۲ ۔ (مُقدِمہٕ بیترِ) ۔ ڈِگری یا سَزادِنہٕ وَرأے موکلُن ۔

خأرجی ۔ ا ۔ غٲیر یِم ۔ ۲ ۔ مُسلمانَن اَنٛدَر اکہِ فرقُک ناو ۔

خارِش ۔ م ۔ مؤل: خأرِش <ف: خارِش] ۔ کھجھٕنۍ ۔ سَخ گَنٛڈُن ۔ ژَمہٕ ہنٛزٕ اَکھ بیمأرۍ یَتھ اَنٛدَر ژَمہٕ دانہٕ ہی نیران چھِ تہٕ سَخ گَنٛڈُن چھُ یِوان ۔

خأری ۔ م: مؤل: خأری <ف: خواری] پریشأنی ۔ تَبأہی ۔ ذِلالتھ ۔

خأری تُلٕنۍ ۔ تکلیف تُلُن ۔ مُصیبتھ ہیوٚن ۔

خأرۍ ۔ دَرپدٔری لَد ۔ آوارٕ ۔

خأر خاہ ۔ ا ۔ رُت کانٛچھُن وول ۔ ۲ ۔ (ہزلہٕ) بدخاہ ۔ یُس بد یژھ ۔ چُغلی کھینہٕ وول ۔

خأرخاہ نیرُن ۔ (ہزلہٕ) بدکانٛچھنہٕ کَنہٕ کانٛسہٕ بَرخلاف اِطلاع دِیُن ۔ مُنافقت کَرُن ۔

خأرمَقدم ۔ (کَرُن) (کانٛسہٕ یِنہٕ وِزِس) استقبال کَرُن ۔ سَواگتھ کَرُن ۔

خأصیتھ ۔ م ۔ مؤل: خأصیَت <ع: خاصیة] ۔ ا ۔ تأثیر (خاصکَرِتھ دَوا یا زہر ہنٛد) ۲ ۔ فِطرتھ ۔

خأطِر ۔ ن ۔ مؤل: خأطِر <ع: خاطِر] ۔ ماز رتھ ۔ یِزتھ ۔ ووتھاسُن ۔ میٛہمان دأرۍ ۔ پرژھُن گارُن ۔ پرژھی لاز ۔

خأطِر دأری ۔ م ۔ مؤل: خأطِر دار <ع: خاطِر + ف: دار] مازرتھ ۔ میٛہمان دأری ۔

خأطِر کَرُن ۔ پرژھی لاز کَرٕنۍ ۔ پۆژھ رَٹٕنۍ ناوُن ۔ یِزتھ کَرُن ۔ میٛہمان دأری کَرٕنۍ ۔ ووتھاسُن کَرُن ۔

خأطِر واتُن ۔ ووتھُن ۔ یِزتھ کَرنہٕ یِن ۔ جان خِدمتھ واتٕنۍ ۔

خأطِر جَمع تھَوُن ۔ دِل ڈَنٛجہٕ تھَوُن ۔ پژھ کَرٕنۍ ۔ اعتبار کَرُن ۔ گابرُن نہٕ ۔

خأطِر خاہ ۔ مؤل: خأطِر خاہ <ع: خاطِر + ف: خواہ] ۔ یتھ ییٚژھی زِتیٛتھ ۔ دِلَس موٗأفِق ۔ ییمہِ سٍتۍ تَسلی پییہِ ۔ مَنہٕ پۆژ ۔ مَنہٕ پرژی ۔

خأطِر ۔مؤل:خأطر <ع: خاطِر ]۔موکھ ۔ باپَتھ ۔ پُژھی ۔کِنی۔

خأکِستَر ۔ دٕزِتھ سوٗر۔

خأ کی ۔میٚریوٗ ۔میٚرِ بیٛوٗمُت یا بۄومُت ۔میٚرِ ہُنٛد ۔ مِ: آدَم چھُ خأ کی۔

خأ کی پھوٗ کی گردِ اسمأنی ۔ پَتھ کُن نہٕ کینٛہہ روزُن۔ سوٗرُے کینٛہہ بَرباد گڑھُن ۔ختم گڑھُن۔

خأ کر ۔مؤل:خأ کر <ف: خاکی ]۔میٚرِ رَنٛگہِ ۔پھوٚت گُرٹ۔

خأ لِص ۔مؤل:خأ لِص <ع: خالِص :خَلص ]۔ا۔شۄد۔ صاف۔یَتھ نہٕ کُنہِ قسمُک کھوچر یا رَل آسہِ۔ پاسہٕ ۔۲۔چھرا۔فقط۔محض۔

خأ لِق ۔ن۔مؤل:خأ لِق <ع: خالِق ]۔ا۔پأدٕ کَرَن وول۔تخلیق کَرَن وول۔۲۔خودایہٕ سُنٛد اَکھ صِفتی ناو۔۳۔فنکار۔اَدیب۔

خأ لی۔ژھۄ رُے ۔یہِ نہٕ بۄرُت آسہِ۔۲۔صِرف فقط ۔محض۔چھرا۔۳۔کُنُے۔کُن زوٗن ۔یُس نہٕ بیٚیہِ کانٛہہ سِتۍ آسہِ۔۴۔بےٚ کار۔غار آباد۔

خأ لی گژھُن ۔ا۔ژھۄر سپدُن۔کانٛہہ سارنہٕ روزُن۔ ۲۔(گۄلی بیترِ) اَندٕ گوٚژھنۍ۔ آیہِ نہٕ پھٹُن۔

خأ لُک ۔خأ لی لفظُک ژھوٚٹ ۔ا۔ ژھۄر۔۲۔بأقی۔

خأ لُک اَزمانے نہٕ آسُن ۔کینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ مطلب آسُن۔غرض آسُن۔

خأ لصہٕ ۔ن۔مؤل:خأ لصہٕ <ف: خالصہ <ع: خالِصَة ] ا۔سرکأری زٔمین۔زٔمین یُس سرکأری مِلکیژ منٛز آسہِ۔۲۔سکھ۔سِکہٕ مذہبُک پأروکار۔

خأ لصے سرکار۔سرکأری زٔمین یَتھ پٹھ نہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ ہُنٛد داواچلہِ۔

خأ می ۔م۔مؤل:خأ مۍ <ف: خامی ]۔کُنہِ چیزٕچ کمی یا نوٗقص۔کانٛسہِ اَندر کانٛہہ عأب۔کُنہِ چیزٕچ کَسَر۔

خأمی کَرٕنۍ ۔اَپُر کَرُن۔شرٕل کَرٕنۍ ۔م:

کُرِم خأمی وُمرِ ضایے وَقت گو
بُڈتھ کوٚت واتہِ بیٚیہِ لو کچارِ پکھنا
(نوازؔ)

خأنٕ سامنہِ ۔ن۔مؤل:خأنٕ سامان <ف: خان سامان ]۔ انگریزَن کھانہٕ بیترٕ شیرَن وول۔میزَس پٹھ کھانہٕ کھینہٕ باپَتھ رِکابہٕ چمچہٕ تہٕ باقے چیز شیرِتھ تھاوَن وول۔

خأنٕ سامأنی (انگریزی)۔وورانٛھ پورانٛھ (انگریزی) یُس غلط آسِتھ تہٕ بولَن وول بولان چھُ۔

خأہش ۔م۔مؤل:خأہش <ف: خواہش ]۔پژھ۔کٔریشن۔تمنا۔اَرِزوے۔

خأہشمنٛد ۔یُس بیٛژھ۔یُس کُنٛہ خأہش آسہِ۔یُس کٔریشان آسہِ۔

خأہی گرِتھ ۔ٹھوٗکتھ۔یَتھ نہٕ چارٕ آسہِ۔بہر صوٗرتھ۔

خِلال ۔ن۔مؤل: خلال <ع: خِلال = خِل] اُڈنی تُج ۔
دَنٛد بَر بۆ منٛز مَل بیٚترِ کَڈنچ سلٲے یا تُج ۔ دنٛدٕ خلال ۔
خِرقہٕ ۔ن۔مؤل: خِرق <ع: خرقۃ ]۔ا۔ جَنٛدٕ۔ (یُس
یُتھ پٲٹھی مٔتمن بیٚترِ نٲلی چھُ آسان)۔ زیوٗٹھ
جامہٕ وارِیاہ دَجہ لٲرِگتھ آسُن ۔۲۔ خاص
پٲراوُیُس مورشِد مُریدَس بَخشان چھُ ۔
خِرقہٕ پوش ۔یُس جَنٛدٕ لٲرِگتھ آسہِ (تہٕ ڈُپتھ گو)۔
درویش۔ مۆت۔ صوٗفی۔
خِرقہٕ پولاس۔ دَرویشہ سُنٛد ہیٚو پوشاکھ۔ ڈج ترٛوپ
کٔرِتھ جَنٛدٕ بیٚترِ یُس دَرویش لاگان چھِہ۔
خِفتھ ۔م۔مؤل: خِفت <ع: خِفۃ ]۔ بے یزتی یو سہ کانٛہہ
اَتھ بیٚترِ کرنہٕ یِتی کانٛسہِ گژھہ ۔ ژٕٹ۔ خجالتھ۔
خِفتی ۔یَس کٕہر آسہِ ۔
خِشی ۔م۔مؤل: خِشی <ف: خویشی ]۔ اُشناوی۔ نیٚتھر
دِتھ یا ہِتھ بَنٛدُت ۔
خیمہٕ ۔ن۔مؤل: خم <ع: خیمۃ ]۔ ترٛومب۔ کپٔرک یا
ترٛاپالہٕ بیٚترِ یِگ ژھبدٕن یُس ٹِکلبن یِتی رٔز
کٔرِتھ ڈنٛڈٕن پیٹھ گنٛڈنہٕ چھُ یوان ۔
خیمہ خرگاہ ۔ (پادشاہ بیٚترِ سُنٛد) ڈیرٕ ڈگہٕ۔ سَفرٕک۔
شاہی سامانہٕ (قافلہٕ بیٚترِ خاطر)۔ ڈیرٕ دِنہٕ باپتھ
خیمہٕ ژھبدٕن سامانہ جاے بیٚترِ۔
خیمہٕ دۆز۔ خیمہٕ سُون وول۔ یُسنٛد کار خیمہٕ سُوتھ کٔنن آسہِ۔
خیمہٕ دیُن۔ا۔ خیمہٕ گنٛڈُن۔۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی)۔ ڈیرٕ
دیُن۔ پڑاو دیُن۔
خُتنہٕ ۔ن۔مؤل: خُتن <ع: ختنۃ ]۔ سوٗنتھ۔ خُتن ہال۔
بیہناوُن۔
خُداتعالیٰ (خوداتعالا)۔ خوداُیس سارِوے تھۆد چھُ۔
اللہ تعالا۔
خُلع/خُلاہ۔ن۔مؤل: خُلع <ع: خُلع ]۔ موکجار (یتھ
منٛز دوشوے بٲژ رضامنٛد آسُن) طلاق۔
خُلاصہٕ۔ن۔مؤل: خُلاص <ع: خُلاصۃ ]۔ا۔ گتھٕ ہُنٛد
اصل مَطلَب۔ لُبہ لُباب۔ ژھوٚٹراوِتھ گتھ۔
۲۔ کتابہ بیٚترِ ہُنٛد ژھۆٹ۔ خاکہٕ۔ سکیچ۔
خُلاصہٕ پٲٹھی۔ ژھوٚٹی پٲٹھی۔ موختصر۔
خُلفائے راشدین۔ن۔مؤل: خُلفائے راشدین۔
<ع: خُلفاے راشدین]۔ حضرتِ محمدؐ صٲبنی
ژور یار۔ حضرتِ ابو بکرؓ حضرتِ عمرؓ حضرتِ
عثمانؓ۔ تہٕ حضرتِ علیؑ۔
خُم (خُمب)۔ن۔مؤل: خُم <ف: خُم ]۔ لاو۔ ہوژر۔
ژوکبر۔ وُچھو "خُمب" تہٕ۔
خُم خانہٕ۔ مے خانہٕ۔ شراب خانہٕ۔
خُمار۔ن۔مؤل: خُمار <ع: خُمار: خُمر]۔ مَد۔ اُچھن ہُنٛد
گوبر ہیٚو یُس نَشہِ چَتھ یا زیادٕ عینٛدر کرنہٕ یِتی
چھُ گوہان۔
خُمب۔ن۔مؤل: خُمب <ع: خُم]ا۔ ژوکہٕ کُنہٕ۔ اُدرِس
چیزَس بانَس منٛز دَم کٔرِتھ کھورمُت ژوکہٕ۔

۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔مَلہٕ بیترٕ سٟتؠ پأنٕس یا پلوٗن ووتھمت پھکھ ہیؤ ہ۔

خُمب کھارُن۔۱۔ژۄکہٕ کھارُن (آنچارس یا خُمبِر بیترٕ)۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) مَلہٕ سٟتؠ پأنٕس یا پلوٗن بیترٕ ہیل تُلُن۔ واریاہَس کالَس نہٕ سرٛان گرُن یا پلو پھلنٕ۔

خۄب۔مؤل:خۄب ح ف:خۄب]۔ ٹھیکھ۔ جان۔ مُناسِب ۲۔سبٹھا۔بڈٕ بُرتھ۔یؤت ممکن اوس۔یؤت ہیکِہ زِ تیؤت۔م:خۄب شکلکھ کوٗر ہَس۔

خۄبان۔۱۔خوش شکل۔ شُندٕ بون۔ناز۔۲۔ماشوق۔

خۄبأنؠ ژیر۔م۔مؤل:خۄبأنؠ ژیر ح ف:خوبانی]۔بوٚڈٕ ژیر۔ژیرِ ہُنٛد اَکھ بوٚڈٕ قسم۔

خۄبی۔م۔مؤل:خۄبی ح ف:خۄبی]۱۔رٕژر۔جأنی۔نیکی۔ جانہر۔۲۔شرف۔جان۔صِفتھ۔گون۔وَصف۔

خۄبصورَتھ۔مؤل:خۄبصوٗرَت ح ف:خۄب+ع:صورۃ] سونٛدر۔شکیل۔مأرِ موٚنٛد۔حُسین۔

خۄبصوٗرتی۔جان شکل تہٕ صوٗرت۔حُسن۔

خۄد۔م۔مؤل:خودٕ ح ف:خود]۔شیشٕہٕ ژ ٹوٗپؠ۔ہلمِٹ۔ یوسہٕ سپاہ بیترٕ لڑٲیہِ وِزِ کلس دِوان چھِہ۔

خۄن۔ن۔مؤل:خۄن ح ف:خُون ]۔۱۔رَتھ۔رَگن تہٕ نأرَن اَنٛدَر ردور ؤن دوٚزُل تَرٕل مادٕہ۔۲۔قتل۔مار۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔نِزدیکھ اَشناو۔اَولاد یا بیٚنہٕ بوے بیترٕ۔م:خۄنَس چھےٚ ربے۔

خۄنَس چھےٚ ربے۔پَنہٕ نِسے چھُ ژُک آسان۔

خۄنَس گرٛکھ لگنؠ۔اَولادس بیترٕ ہُنٛد وِزِ جوش یِن۔لولہٕ رَگہٕ مُژٕ رَنہٕ پنہٕ۔(کأنٛسہٕ ہُنٛد) ژُک آسُن۔

خۄنِ باران۔اَچھَن ہُنٛد اوش یُس رؤدِکی پأٹھی وَسہِ۔بےٚ وایہٕ اوٗش ہارُن۔

خۄنِ جگر،خۄنِ دِل۔۱۔جگرُک خۄن۔وأنی جہ ہُنٛد رَتھ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) سَخ اوش۔دوکھٕک اوش۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔فِکر۔تشویش۔

خۄنِ جِگر کھیوٚن۔کأم گرِٕ گرِٕ رَتھ وَسُن۔گُنہٕ کامہِ باپتھ زوٗگالُن۔سَخ میحنتھ گرٕنؠ۔سَخ میحنتھ گرِتھ اوزِقہٕ گماوُن۔

خۄنِ دِل ہارُن۔سَخ وَدُن۔سَخ پأٹھی اوش ہارُن۔

خۄنِ ناحَق۔بےٚ گوناہ۔بےٚ تقصیر کأنٛہہ مأرِتھ ژھنُن۔ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کأنٛہہ قتل گرُن۔

خۄنی۔۱۔خۄنٕر۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) خۄن خار۔وۄل۔وُچایہِ۔

خۄنی اَچھ گرِتھ۔۱۔شرارتہٕ ہوٚت۔۲۔کھوٚژوٗن۔یَس وُچھتھ وُحشتھ گژھِہ۔

خۄنہٕ خۄن۔گُنہٕ لڑٲیہِ بیترٕ منٛز گرنہٕ آمتؠ واریاہ قتل۔واریاہَن ہُنٛد مار۔

خۄنہٕ خۄن گرٕنؠ۔پانہٕ وأنؠ سَخ لڑٲے گرٕنؠ۔اَکھ اَکِس رَتھ والُن۔

خۄنہٕ مجنۄن۔سُہ شخص یُس گُنہٕ کامہِ، مقصدِ یا

تُحر پکہٕ خاطرٕ قوربٲنی آسہِ دِژٕمژٕ۔

خوٗنُر۔یُس کٲنٛسہِ ہُند خوٗن کرٕ۔مارٕ کرن وول۔قٲتِل۔

خوٗن بارٕ ودیٛن۔زوٗرٕ پأٹھۍ کرنہٕ آمت قتل نوٗن نیرُن۔قتلس بوٗج ووتھُن۔

خوٗن پھاٹُن۔تیٚز چوب دِنۍ یتھ زن مار پینہٕ وأنِس رتھ وسہِ۔(ورگہ پأٹھۍ)ژرِس کانِس کامہِ لاگُن۔ہُر یمانہٕ کأم ہیٚنۍ۔کٲنٛسہِ(سبٹھا کأم ہیٚنۍ)۔

خوٗن خار۔ظٲلِم۔وٕحشی۔یَس سَخ شرارتھ آسہِ۔یُس ژٕکھ ہوت پتہٕ لارِ۔یُس رتھ چَنٛس پتھ آسہِ۔

خوٗن خوشِکھ گژھُن۔سَخ کھوژُن۔ترٕہرُن۔دوکھ پیوٚن۔غم پیوٚن۔کٲنٛسہِ ہُند ہیوٚن۔

خوٗن دیٛن۔ا۔کُنہِ زخمہِ بیترٕ کِنۍ خوٗن نیرُن۔
۲۔بمارس بیترِ خوٗن برُن۔۳۔(ورگہ پأٹھۍ) کٲنٛسہِ پتھ زوفدا کرُن۔پان وندُن۔

خوٗن ریزی۔مار۔خوٗنہٕ خوٗن۔غارتھ گری۔واریاہ قتل۔

خوٗن کرُن۔قتل کرُن۔مأرتھ ژٕھنُن۔

خوٗن کھسُن۔ا۔سَخ شرارتھ کھسُن۔ژٕکھ کھسنۍ۔۲۔مار مٹہِ کھسُن۔

خوٗن مَٹہِ کھسُن۔مار مٹہِ کھسُن۔قتل کرنک الزام کھالنہٕ یُن۔

خوٚدی۔م۔موٗل:خوٚدی حف:خودی]۔پننہٕ پانٛچ زان۔ئہ تا۔

خوٚرِش۔م۔موٗل:خوٚرش حف:خورش ]۔کھینہٕ چیٚنہٕ چیز۔کھین چٚن۔اوزقہٕ۔غِذا۔

خوٚشی۔م۔موٗل:خوٚش حف:خوٗشی ]۔ا۔خوش آسٕنٛچ حالتھ۔دِل پھوٚلنٛچ حالتھ۔شادمانی۔۲۔(ورگہ پأٹھۍ)صوحبتھ۔

خوشی سان۔عاش کرِتھ۔کُنہِ رُکاوٹہٕ ورأے۔یتھ کانٛہہ ٹھوٚر آسہِ نہٕ۔

خوٚصوٗصَن۔موٗل:خوٚصوٗصَن حع:خُصوصاً]۔خاص کرِتھ

خوٚصوٗصیَتھ۔م۔موٗل:خوٚصوٗصیت حع:خصوٗصیۃ=خص]خاصیَتھ۔خاص صِفتھ۔

خوٚلوٗص۔ن۔موٗل:خوٚلوٗص حع:خلوص=خلص]۔مَن شوٚدآسُن۔دِل صاف آسُن۔کھوٹھ ییَتھ نہٕ آسنۍ۔یخلاص۔دوٗستی یا رِز یتھ أندر رنہٕ کانٛہہ کھوٚر آسہِ۔پزٕ مأے۔

خوتوٗن،خوتَن۔م۔موٗل:خوتوٗن حف:حترکی:خاتون]
زنانہٕ۔خاصکرِتھ یزتہٕ واجِنۍ زنانہٕ۔

خوتَن وازٕ آیہِ پلَن پٔنٛنۍ گلَن مُشِس نہٕ۔یہِ چھہٕ تَس شخص مُتلِق ونان یُس أندرِ أندرِ کوٚت تام ووتمت آسہِ مگر نیبرِ آسہِ نہٕ ٹینٛٹھ ترٕ اوان۔

خوف۔ن۔موٗل:خوف حع:خوف=خاف]ا۔بَیہٕ۔ڈَر۔کھوژُن۔ترٕاس۔۲۔فِکر۔أندیشہِ۔وٕہمہٕ۔

خوف دِہی کرٕنۍ۔کٲنٛسہِ اہرٕ بہناوُن۔دبارٕ کرُن۔روبہٕ داب کرُن۔

خوفزٕد۔ کھۄژمُت۔ ترٛہریوٗمُت۔

خوف کھیوٚن۔ کھوژُن۔ لرزُن۔ کانٛسہِ ہُندہٕ ہرِ بہُن۔

خوفناکھ۔ یُس یایہِ وُچھتھ کھوژُن پیہ۔ وٕحشتھ گژھہ۔

خوگر۔ مۄل: خوگر<ف: خوگر]۔ دَریوٗمُت۔ ہلیوٗمُت۔ یُس وُلٕنہٕ ہال گاہمٕژ آسہِ۔

خوگر گژھُن۔ کانٛہہ وُلنہٕ ہال گژھنۍ۔ ہلُن۔

خول۔ ن۔ مۄل: خول<ہ: خول]۔ بادٕم یا ژیر بیٚترٕ موٗچ گۄج۔

خولہٕ خط۔ اَن ہار۔ آکار (بُتھیٚگ)۔ چال ڈال۔ اِنسانہٕ سنٛز نیٚرم بناوٕٹھ۔

خوجہٕ۔ ن۔ مۄل: خوج<ف: خواجہ]۔ ا۔ یِزتہٕ پُژھر کانٛسہِ آسَن وانٛلِس تہٕ دُنۍ یادار اِنسانَس وَنان۔ ۲۔ بۄڈ بٲپٲرۍ۔ ۳۔ تِلہٕ وونۍ۔ تیل کٔڈن وول۔ ۴۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) آغہٕ۔ مٲلِکھ۔

خوجبن دۄ پمِ پھٹکھے۔ یہِ چھِ تَس مُتعلق وَنان یُس بڑِس مۄہنوۍ سنٛز ژھرگتھ یۄزِتھ گژھہِ ویٚژنہٕ۔

خوجہٕ بیٚوٗٹھ وان دبگلوسان۔ یہِ چھِ تَس شخٔص ہزلہٕ وَنان یُس نہٕ مۄل مُوکھۍ آسہِ۔ اما پوٚز بڑۍ کارٕ بار کرٕنس آسہِ کرٕیشان۔

خوجہٕ تہٕ مۄدژاس تہٕ لوتیہٕ۔ مرنہٕ ستۍ چھِ ساری مُصیبَتھ پانے دۄر گوھان۔ (ہزلہٕ) کانٛہہ تیٚتھ بدٕتھ دۄر گوھنہٕ وِزِ وَنان یُس برداشت کرٕنس نہٕ چارٕ کانٛہہ آسہِ ہے۔

خوجہٕ ٹھۄل۔ (وَرگہٕ) آلژۍ۔ بےٚ کار بہَن وول۔ یُس کٲم کار کرٕنس گال آسہِ گژھان۔

خوجہٕ زادٕ۔ ا۔ خوجہٕ سُنٛد نیچو۔ ۲۔ (ہزلہٕ پٲٹھۍ) یُس کٲم کار کرٕنس گال آسہِ گژھان۔

خوجہٕ زانٛہہ میلِے نہٕ وانہِ زانٛہہ سمکھے نہٕ۔ تہٕ دُپتھ گو یُس نہٕ دُبارٕ وُچھٕہن یا یُس نِش نہٕ کانٛہہ کٲم۔ نیرٕ وِنۍ باسہِ تَس ستۍ پانہٕ نٕیار وَرتاوُن چھُ بےٚ فٲیدٕ۔

خوجہٕ صٲب بداد، گوم نہٕ تہٕ دٕنتھ تھوٚدُم۔ یہِ چھِ تَمہِ وِزِ وَنان یٕیلہِ کانٛہہ گٲیلہٕ گژھنہٕ بژ وٕنٛژھے بارَرودیہٕ۔ (ہزلہٕ) بٕلی بارَرودِنۍ۔

خوجہٕ مانکھ نہٕ تہٕ منٛژ دَب کھٕبتھ۔ تہٕ دُپتھ گو یُس پٲزار بُتھ آسہِ نہٕ چھٕنہٕ پٲزار کھٕبنہٕ رۄس سدان۔

خوجہٕ موٗنۍ ٹھۄل، بٕنۍ کاہ کاہ تہٕ کٔنۍ باہ باہ۔ تیٚتھ کارٕ بار کرُن یتھ منٛز گاٹے گاٹہٕ آسہِ۔

خود۔ مۄل: خود<ف۔ خود]۔ ا۔ پانہٕ۔ پٲنۍ پانہٕ۔ پٔنٛز ذاتھ۔ پٔنُن پان۔ ۲۔ پانَے۔

خودبہٕ خود۔ پٲنۍ پانَے۔ کانٛسہِ ہنٛدِ مدَتہٕ یا ہاونہٕ کرنہٕ ورٲے۔

خود بہٕ ذاتھ۔ پٲنۍ پانہٕ۔ کانٛسہِ اَتھہِ تارٕ کانٛج کرنہٕ وَرٲے۔ کانٛہہ منٛز ترٛاونہٕ وَرٲے۔

خود پرستی۔ ژھوکھ۔ پٲنۍ پانہٕ۔ کانٛسہِ اَتھ تارٕ کانٛج کرنہٕ وَرٲے۔ کانٛہہ منٛز ترٛاونہٕ وَرٲے۔

خودپَسَند۔ یَس پانَس مُتلِق بٔڑ گمانہٕ آسہِ۔
خودپسندی۔ پانَس متعلق بٔڑ گمانہٕ آسُن۔ پانَس
بَرابرَ نہٕ کانٛہہ وبزُن۔
خوددار۔ یَس پنٕنہٕ یزتک پاس آسہِ۔ تہٕ وو پرس نشہِ
سَہَل سَہَل نَمہِ نہٕ۔
خوددأری۔ پَنٕنہِ یزتک پاس اُسُن۔ سَہَل سَہَل نہٕ
کانٛسہِ نِش نَمُن۔
خودرَنگ۔ ا۔ یتھ قودرٔتی رَنگ آسہِ۔ ۲۔ (یٔزِپأٹھی)
یِکنَہ رَنگہٕ۔
خودرَو۔ ا۔ (کُلۍ بیترِ) پانے کھوٚتمت۔ وٕسنٛز (آمت)
۲۔ سَہ گُرُیس رہدارپکان آسہِ۔
خوداراہ گرُھن۔ سَہ بوزُن اَڑُن۔ بےٚ ہیم گرُھن۔
کانٛسہِ ہُندنہٕ وبزُن۔
خودراے۔ یُس پَنٕنی رایہِ تڑ لیہِ پکہِ۔ یُس نہٕ کانٛسہِ
ہُند مانہِ۔
خودسَر۔ سَرکَش۔ روگردان۔
خودسَری۔ سَرکَشی۔ روگردأنی۔
خودغرض۔ یَس پانہٕ سے کُن پوٚ (آسُن) مَطلَبی۔ یُس
نہٕ بیٚے سُندخیال تھاوِ۔
خودغرضی۔ پانہٕ سے کُن پوٚ (آسُن)۔ مَطلَبی (آسُن)۔
خودکار۔ یہِ پأنی پانے چَلان آسہِ (مشین بیترِ)۔
خودکاشت۔ سوٗ زمین یوسہٕ نہٕ بیٚیس لاگنہٕ کرنہٕ یِزٛہہٕ
آسہِ تہٕ یتھ زمینہٕ وول (مألِکھ) پانے لاگان
آسہِ۔
خودکُشی۔ پانہٕ مور۔ پنٕن پان مارُن۔
خودموختار۔ یَس پانَس تام آسہِ۔ یُس نہٕ بیٚیس
آویزٕ آسہِ۔ آزاد۔ پانہٕ یَختیأری۔
خودموختأری۔ کانٛسہِ نہٕ آویزٕ آسُن۔ پانَس تام
آسُن۔ آزأدی۔
خودا/خوداے۔ ن۔ مؤل: خوداحف: خُدا]۔ اللہ۔ ایشور۔
دَے۔
خوداتعالا۔ وٕچھو ''خُدا تعالےٰ''
خوداحأفِظ۔ خوداے رٔچھنَے۔ یہِ چھِ اَکھ اَکس روخصَتھ
ہینہِ وِزِ وَنان۔
خوداخوداکران۔ مُشکلی سان۔ کُنہٕ تام۔ دَے دَے
کران۔
خودادادا۔ ا۔ یہِ خودائِن دِتُمت آسہِ۔ خودائِن سوٗزمُت۔
یہِ نہٕ کانٛسہِ اِنسانہٕ بیترِ ہنٛد دِنہٕ بیوٗمُت آسہِ۔
۲۔ قودرٔتی فِطری یہِ ہیچھنَے پرٛزومُت یا موٗلُمت
آسہِ۔
خودارا۔ خودایہِ ہنٛد خأطرِ۔ برائے خودا۔
خودازانان۔ یہِ چھِ تَمہِ وِزِ وَنان ییلہِ کُنہِ مُتعلِق
پٔزٕ لاعلمی باوٕنی آسہِ۔ دَے زانہِ۔ مےٚ چھنہٕ خبر۔
خوداگواہ۔ یہِ چھُ اَکھ قسم۔ خوداچھُ شأہِد۔ خودائیس
تھی۔
خودانہٕ خاستہٕ۔ خودامہٕ بیٚرٕھن تہٕ۔ خودامہٕ کرِن۔

خوداوَندِ تعالا۔ وُچھو "خوداتعالا۔"

خوداوٗندی۔ ا۔ وُچھو "خوداٗے۔ یتھ "خوداے آسُن۔

خودلیہ ہنز قودرتھ تہٕ طاقتھ۔ خودائی کامہٕ۔

۲۔ (وَرگہٕ) تژھ کانٛہہ کتھ یا کام ییتھ پیٹھ حاراں گژھی زِ۔ نزٕ قودرتھ۔ ۳۔ (وَرگہٕ) سیٹھا نایاب تہٕ نہ ہنہٕ وُن کانٛہہ چیز۔

خودایَس پَتھ۔ خوداحاضر ناظر زانتھ۔

خودایَس حَوالہٕ۔ (آہی) دَیَس حَوالہٕ۔ دے کری نے راچھ۔ یہ چھےٚ آہی پاٹھی کنہ ہیرٕ نس پیٹھ روخصتھ کرنہٕ باپتھ یا شرِس کٔنٛس دَب درٕس لگنہٕ وِزِ وَنان۔

خودایَس لۄر ہیتھ کھَسُن۔ خودلیہ ہندِس کرنس بارٕ وٕنی۔ (ہنہٕ، گۄڈ رنہٕ کٔنٛی لاچار گژھتھ وَنہٕ یوان) م: یہ کیاخودایَس کھسالۄر ہیتھ۔

خودایا۔ ا۔ ہے دَیہٕ۔ (میانہٕ) خودلیہ۔ ۲۔ یہ چھِ تمہٕ وِزِ وَنان ییلہٕ کنہٕ پیٹھ تاجُب ظاہِر کرُن آسہِ۔ الاٗے۔

خودلیہ خودایہ کرُن۔ ا۔ عبادتھ گذاری کرٕنی۔ خودلیہِ ہنز عبادتھ کرٕنی۔ خودلیہ سُند ناوٕ ہیوٚن۔ ۲۔ سوٗرے ترٲوِتھ خودا رٹُن۔ (یہ چھِ ناوٕمیدی وِزِ تہٕ وَنان)۔

خودلیہ خودلیہ کرِتھ۔ کٔنٛی تام کِمی کِمی۔ زورٕ زارٕ۔ اتھن پھوکھ دِوان۔

خودایہ ہنٛدِ خاطرٕ۔ دَیہ ہنٛد پاسہٕ۔ طرَفہٕ خودا۔

خودایہ ہنٛز درٕے۔ قسم خودایہ سُنٛد۔

خودایہ ہنٛز کٔھرتہٕ نایِد ہنٛز ژۄپھ۔ یہ چھِ تمہٕ وِزِ ہَزلہٕ وَنان۔ ییلہٕ کانٛسہِ گاییلَس پیٹھ گاییلہٕ پیہہِ۔

خودایہ سُنٛد دیٖن۔ دَیہ سُنٛد دیٖن۔ ییتھ اَنٛدر رنہٕ کانٛسہِ ہنٛز منتھ آسہِ۔

خودایہ سُنٛد گرُن۔ تہٕ سپدُن ییتھ منٛز اِنسانس کانٛہہ دٔخل آسہِ نہٕ۔

خودایہ سُنٛد گرٕ۔ ا۔ خانہ کعبہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ) مٔشیدٕ ییتہٕ خودلیہ ہنٛز عبادتھ کرنہٕ یوان چھےٚ۔ عبادتھ خانہٕ۔

خوداٗے کتھ کرٕنی۔ سو کتھ کرٕنی ییتھ منٛز طرفدٲری ہنٛز بوے آسہِ نہٕ یوان۔ غارجانبدار پاٹھی کانٛہہ فاصلہٕ دیُن۔ روے رعایتی نہٕ کرٕنی۔

خوداٗے کھۄیوٗمُت۔ (ہزلہٕ پاٹھی) سیٹھا کمزور۔ لاغر۔ زٕٔے گومُت۔

خوداٗے ییتھ/ خوداٗے ہتھ۔ ا۔ خودلیہ ہنٛز شان۔ خوداوٗندی۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)۔ سیٹھا مولُل چیز۔ یُس نہٕ سَہَل سَہَل ہیٚتھ ہیکہٕ۔ م: اِدٕ ژےٚ کوسہٕ خوداٗے ییتھ بوٗزتھ یہ۔

خور۔ ن۔ مؤل: خور<: خور]۔ چَنہٕ وول۔ کھینہٕ وول۔ یہ چھُ اکھ پرٛت لۄگ۔ م: شراب خور۔ شراب چَنہٕ وول۔ گوٗش خور= ماز کھینہٕ وول ہیترٕ۔

خوراک۔ن۔مؤل:خوراک <ف:خوراک]۔ا۔کھین چَن۔غذا۔کھین خورئی۔کھینہٕ چیٖنکی چیز۔ رُوزی۔اوزقہٕ۔آب دانہٕ۔ریزق۔۲۔(اکہِ وَقتہٕ کھینہٕ یِنہٕ وول مینتھ) دواڈنگ۔

خورِد۔مؤل:خورد <ف:خورد]۔لوکُٹ(وأنسہِ کنۍ یا باڈوٚ بیترِ کنۍ)۔

خورِدسال <ف:خورد+سال]۔لوکٕٹ تہٕ مأصوم۔

خورِدسألی۔لوکچار۔لأووأنس۔

خورِدکلان۔<ف:خوردوکلان]۔لوکٕٹ تہٕ بڈ (تہٕ ژٕپتھ گو) سأری۔

خورِدبین۔م۔مؤل:خوردبین <ف۔خوردبین]۔اَکھ آکہِ یمہ سۭتؠ سیٹھا نکۍ تہٕ ژھربن اُچھن نہٕ لبنہٕ یِنہٕ وألۍ چیز وُچھتھ ہیکان چھِ۔مایکروسکوپ۔

خورِدبورِد۔ن۔مؤل:خوردبورد <ف:خوردبُرد](حوالہٕ تھوٚوۍ متِس چیزَس بیترِ) ژلم۔کھسۍ پھیٚر۔خیانتھ۔ اَلم گلم۔

خوردنی۔م۔مؤل:خوردنۍ <ف:خوردنی]۔کھین چَن

خورِدنوش۔ن۔مؤل:خورِدنوش <ف:خورد+نوش]۔ کھین تہٕ چَن۔

خورشید۔ن۔مؤل:خورشید <ف:خورشید]۔آفتاب۔ سِری یہ۔

خورشیدروے۔شکیل۔حسین۔مأری مۆنٛد۔

خوٚسَرو۔ن۔مؤل:خوٚسَرو <ف:خسرو]خوٚسَرو پَرویز۔ ایرانُک اَکھ بادشاہ یُس شیرہ ہنٛد عاشق اوس تہٕ یمی ژٕھل کٔرِتھ فرہاد پانہٕ مور کرنوو۔

خوش۔ن۔مؤل:خوش <ف:خوش]۔ا۔شاد۔یُس دِل پھولمُت آسہِ۔یُس دِلس بَشاشت آسہِ۔۲۔اَمہِ وِنہٕ بُتھ دِیہ وُن نہٕ۔۳۔اَرزوٗ۔بیمارنہٕ۔دادِ دَگہِ روٗس۔وارِ وَنہٕ۔۴۔مُطمئین۔سیر گومُت۔۵۔رأضی۔رضامَند۔ پَنہٕ مَرضی سان۔

خوش اَسلوٗبی(سان)۔جان پأٹھۍ۔کامیأبی سان۔ ہونرمَند پأٹھۍ۔

خوش اَندام۔یُس جان قد تہٕ خولہٕ خط آسہِ۔(وَرگہِ پأٹھۍ)۔ماشوق۔

خوش پأٹھۍ۔وارِ کارِ۔جان حالتَس اَندر۔گنہِ دوکھ دادِ وَرأے۔اَرزوٗ۔

خوشحال۔فِکرِ و تہٕ غمو نِشہِ آزاد۔یُس ہأکس بٔتس جان صوٗرَتھ آسہِ۔پاپرِ جا۔بجا۔وارِ وَتہٕ۔

خوش حال خانَس ژُو اَژُن۔بےٚ موقہٕ یا خامخاہ ژٕبنگُن۔

خوشحأٔلی۔پاپَر جأیی۔بجأیی۔آبأدی۔

خوش خَبَر۔رِژ شیٚچھ۔رُت پأغام۔

خوش خَبَری۔خوشی ہنٛز شیٚچھ۔رِژ شیٚچھ۔

خوش خط۔جان دسخط۔رِژ لکھأے۔لیکھنَس جان اَتھ

خوش خولق۔یُس گٔتھ باتھ کرنک رُت سٔلیقہٕ آسہِ۔ رَلہٕ وُن میلہٕ وُن۔یُس اَسہٕ وِنہٕ بُتھِ پیش یِیہ۔

خوش دِل۔ یَس دِل خوش آسہِ۔ تہٕ ڈیٚتھ گو راضی تہٕ سیر۔
خوش ڈول۔ وُچھو "خوش لوٗٹھ"۔
خوش فہمی۔ تہٕ زانُن یتھ کانٛہہ بُنی یاد آسہِ نہٕ۔ بڑ اُمید۔
خوش قِسمَتھ۔ نصیبہٕ وول۔ باگہِ وان۔ ڈیکہٕ بوڑ۔ بختاوار۔
خوش گرُن۔ ۱۔ پَسند یُن۔ پزٕیُن۔ مَنٛس بہُن۔ ۲۔ ٹوٹھ گژھن۔ ۳۔ یہِ پَنُن دِل وَنہِ تی گرُن۔ پَننہِ مرضی پیٹھ پَکُن۔ دِل یَژھُن۔
خوش گژھُن۔ ۱۔ کانٛہہ جان چیز وُچھتھ یا بوٗزِتھ دِل شاد سَپدُن۔ دِل پھولُن۔ ۲۔ پَنٛنی مرضی آسٕنی۔ یَژھُن۔ م: یہِ خوش گژھی تہٕ کر۔
خوش گُوار۔ یہِ راس پیہ۔ یہِ طبیعتس وَیہِ مزاز مؤجوٗب۔
خوش لوٗٹھ۔ سُہ کوٗٹ یُس بُتھہِ کِنی جان آسہِ۔
خوش مزاز۔ ۱۔ اَسہِ وُن۔ یُس نہٕ دژہٕ لَدِتھ روزان آسہِ۔ یُس جان سوٗلوٗک یا وَرتاو آسہِ گران۔ ۲۔ نوزُک طبیعتُک۔ سُہ یَس گندگی ستی ڈِے آسہِ۔ ۳۔ سُہ یَس نہٕ اَگال مَگال کھَسنَس وار آسہِ یوان ۴۔ تمیز دار۔
خوش نصیب۔ بختاوار۔ یَس تقدیر رُت آسہِ۔ باگہِ وان۔
خوش نۆیس۔ یُس گرُتھ تہٕ ژُرِتھ لیکھان آسہِ۔ یَس جان دستخط آسہِ۔ رُت کاتِب۔
خوش نہٕ یُن۔ اَزرُون یُن۔ زِ روِتھ نہٕ ہیکُن۔
خوش یوون، یوُن۔ یُس یا یہِ وُچھتھ دِل خوش گژھہ۔ پزٕیہِ وُن۔ یہِ مَنٛس بیہہِ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) شۆبہِ وُن۔ سوندَر۔
خوشابہٕ۔ ننٛد۔ دانٛبس ننٛد گرٕنی۔
خوشامَد۔ م۔ مؤل: خوشامَد حف: خوش آمد] ۱۔ مَٹھہٕ مَدار۔ ٹٹھِ میٹھہِ۔ زار پار۔ ۲۔ (ہزلہٕ) اَپزی تارٕیف (مَطلبہٕ خاطرٕ)۔ چاپلوٗسی۔
خوشِک۔ ن۔ مؤل: خوشک حف: خُشک]۔ ہوٚکھ یتھ نہٕ سرٕیہہ تہٕ آسہِ۔ یتھ نہٕ ترٛی آسہِ۔
خوشِک دِماغ۔ یَس نہٕ کانٛسہِ ہُند ویٚژھ۔ مزاز کِنی ترٛوش۔ یَس یتھے شرارتھ کھسہِ۔
خوشِک سالی۔ ہوکھے۔ رۄدنہٕ پیٚنہٕ کِنی فصل کم یوُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) دزاگ۔ کال۔ قحط
خوشِک فصل۔ سُہ اَناج یُس وُڈریا خوشِک زمیٖنَس یووان آسہِ۔ (یتھی فصل چھہِ کنکھ۔ مَکاے تہٕ دال بیترٕ)۔
خوشِک گژھُن۔ ۱۔ ہوکھُن۔ سرٕیہہ یا اَدر یرِ ژٕلُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) غمہٕ ستی ہوکھُن ستھ فِکرٕ لگٕنی۔
خوشِک موٚ۔ ڈوٗن، بادام بیترٕ ہیٚو موٚ۔
خوش آمدید۔ مؤل: خوش آمدید حف: خوش+آمدید]۔ وولہٕ وولہٕ۔ بُتھہِ نیرُن۔ بڑ وٚنٹھہٕ یُن۔ جان

پأٹھی پانَس نَش واتناوُن۔

خوشبوٗ/خوشبوے۔م۔مؤل:خوشبوٗ<ف:خوشبوٗ] جان مُشِک۔

خوشبوٗ دار۔یَتھ خوشبوٗ آسہِ۔مُشکہٕ دار۔

خوش خرِید۔ا۔فصل یُس خوٗ کوٗمتھ بیترِ ظُلمہٕ زَبَردستی وَرأے کاشکارَن یاژمیندارَن نِشہٕ مُلہٕ ہیہٕ۔

خوشکی۔م۔مؤل:خوشکی<ف:خُشکی ]ا۔ہوچھر۔ ۲۔مزاژُک ووجَر یا بجَر۔بَخشی آسُن۔ژمہٕ دژامتی دانہٕ یا گرمی بیترِ۔۴۔ہوکھے' ہوٗہَس اَنٛدرٕ رتٕری نہٕ آسٕنۍ (واریاہَس کالَس روٗد بیترِ نہٕ پینہٕ کٕنۍ)۔م:اَژِچھےٚ خوشکی بیمأرۍ عام۔۵۔مَتَس یا مسلَس تیل دِنک ضوٗروٗرتھ (ہوکھنہٕ کٕنۍ)۔۶۔خوشکۍ سوزِٕ وٕزاتھ یوسہٕ زمینہٕ پیٹھ روزان آسہِ تہٕ آبَس اَنٛدرٕ آسہِ نہٕ۔۷۔سوزمین یتھ نہٕ چلہٕ وُن سَگ آسہِ ۸۔سٕرٕکہٕ سٕرٕکہٕ۔ وِوٕھلی۔ناوِ بیترِ کبتھ نہٕ۔۹۔ووٗل۔ژٕھیٚل۔رَگ بَخشی۔کأکر۔

خوشکبتھ۔ا۔مَژٕر۔۲۔سیتھ۔

خوشکبتھ اَنٕنۍ۔تنگ کرُن۔سیتھ اَنٕنۍ۔

خوشکبتھ آسٕنۍ۔ا۔مَژٕراسُن۔۲۔بجَر آسُن۔سیتھ آسٕنۍ۔

خوشکبتھ دِنٕنۍ۔(چیزَن ہٕتی)سیتھ دِنٕنۍ۔

خوشکبتھ کھارٕنۍ۔بَتنگ اَنُن۔سیتھ ٹلُن۔گیٖوٗر لارٕوُن۔فٕترتھ اَنٕنۍ۔

خوشکبتھ لارٕنۍ۔اوگ بوگ نہٕ روزُن۔سیتھِہ ووٗتھُن۔ فٕترتھ ہٕنۍ۔

خوشکبتھ ہٕنۍ۔ا۔مَژٕر ہیُن۔۲۔فٕترتھ ہٕنۍ۔اَتھ وَتھ نہٕ ہٕنۍ۔

خوش کیٖژٕلد۔ا۔سپٕژلد۔اَژٕسَرلد۔۲۔بگوٗأسۍ

خوطبہٕ۔ن۔مؤل:خوطب<ع:خُطبَۃ ]۔نمازِ بٕرٛونٛٹھ یا پَتہٕ یہٕ امام پیٖرِ پیٹھ کھٔسِتھ وَنہٕ۔مذہبی لکچر۔ ۲۔یہٕ لوٗکَن کُن وَننہٕ یِیہٕ۔

خوفتَن۔ن۔مؤل:خوفتَن<ف:خُفتہ ]شوٗنگَن وَقت۔ شامہٕ پتٕہ۔۲۔پأنژِم نماز یوسہٕ شام نمازِ پَتہٕ چھےٚ پَرنہٕ یِوان۔

خوفتَن بأگ۔شوٗنگَن وِزِ۔تہٕ دٕپتھ گوشامہٕ پَتہٕ۔

خوفتَن فقیٖر۔ا۔تِم بچھٕ وٕنۍ یِم راتھ کیٖت بچھنہٕ باپتھ پھیران آسَن۔۲۔(وَرگہٕ) کرِلیہٕ غُنڈٕ۔

خوفتَن نماز۔پأنژِم نماز،یوسہٕ شوٗنگنہٕ بٕرٛونٛٹھ پَرنہٕ یِوان چھےٚ۔

خوفتہٕ(پیٚوٗمُت آسُن)۔مؤل:خوفت<ف:خُفتہ]۔ مَس غیٚندرِ آسُن۔

خوٗلق۔ن۔مؤل:خولق<ع:خلق]۔ا۔رُت سوٗلوٗکھ۔ رُت وَرتاو(کأنٛسہٕ ہٕتی)۔۲۔مایہِ پچھر۔

خولفہٕ۔ن۔مؤل:خوف<:خُرفہ/ع:خُرفتہ]ئٕرٛ بیٖوٗل۔

خوے۔ن۔مؤل:خوے<ف:خو ]ا۔فطرتھ۔ذأتی صِفتھ مِزاژ۔اُڈرَن۔۲۔صوٗحبتھ۔ووتھ بیٚٹھ۔

۳۔لگاو۔ رُجحان۔ عادَتھ۔ ہاؔل ۔مِ : اُمِس
چھےٚ ژھوٗٹس ستؠ خوے۔

د

د۔فارسی یکؠ ژہُیم ۔اُردو ہکؠ کَہیم تہٕ کأشریٚکؠ پَندا ہُیم
اَچھر۔ اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ ژور مول۔

دَب۔ن۔مۆل:دَب <س:دَبھ]۔ا۔ٹاس ۔ٹھُنڈ۔ پُرتھ
(لوریا کٕچہِ بیتر یکؠ)۔۲۔ پَتھر لایُنہٕ یُن (کھوٗنت
یا ٹھوکرِ بیترِ لگنہٕ ستؠ)۔ۆسی پیٛون (کھر بیترِ
گوٚھنہٕ ستؠ)۔۳۔ پاؤن ۔تمہٕ خرگو یموٗ ستؠ
بیا کھ پاونہٕ پییہ۔ کُشتی ۔۴۔(وَرگہٕ پأٹھی) گَتھ
جنگ۔وادواد۔۵۔(کارِ بارس بیترِ منٛز)۔گاٹہٕ۔
پَتھر پیٛون۔ضَرَر۔مِ:پَنہٕ نِس دَبَس خبردار۔
۶۔ٹھہراو۔قرار۔ژھین۔وَقفہٕ(کُنہٕ پکہٕ وُنس
سِلسِلَس) م: گوڈٕ زاے بوتہٕ ماَج۔اَدٕ
زاو بَب۔دوہ پونٛشہِ دَب گو زاو بُڈی بَب۔۷۔
(وَرگہٕ پأٹھی) دَکہٕ۔نگار۔م:روٗزِیَس لگہٕ
نہٕ دَب دِین ۔۸۔(وَرگہٕ پأٹھی) کاف۔
گوٚب نیٚندر۔مِ:بتہٕ دَبِچ نیٚندر۔

دَبَس پیٹھ دژَس۔۱۔(ل۔م) اَکھ دَب تہٕ پیٹھ
رَبہٕ کھوڈَس پھٹُن۔(وَرگہٕ) مُصیبَتَس پیٹھ
مصیبَتھ یُن۔کھرِس پیٹھ کھر۔۲۔ بانبر۔

دَبہٕ ۔<س۔دَبھ]۔ژرٕ ٹہٕ۔ پتھرِس لأرِتھ (کُنہِ
سُتِتھ۔بپہ۔

دَبہٕ بہُن۔ا۔ژرٕ ٹہٕ بہُن۔لگِتھ گرٛھن۔پتھرِس لارُن۔
تتہٕ کُنہٕ بہِتھ گرٛھُن یتھ نہٕ تھوٚد ہیکہٕ وُٹھتھ۔
۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) بےٚ کار گرٛھن ۔ نرِمرِ ٹوٗتھ
بہُن ۔۳۔ (زٔمین) بیوٗٹھ گرٛھُن ۔

دَبہٕ ترٛؤن۔ پَتھر پیٹھ چھوکہٕ لَد۔رَبہٕ منٛز یا تھزرِ
پیٹھہٕ ستؠ کرٛپُس۔

دَبہٕ ترٛؤن گرُن۔تہٕ گرُن یمہٕ ستؠ دَبہٕ ترٛؤن گژھہ۔
دَبہٕ ترٛؤن گرٛھُن۔کھورٕ ڈلنہٕ ستؠ وَسی پیٹھ دَبہٕ وَنہٕ
یُن تہٕ رَبہٕ گرُن ہیوٗ گرٛھن۔

دَبہٕ دَب۔کُشتی۔حَملہٕ دَمَل۔لَمہٕ لَم۔[خاصکر تھ کانٛہہ
چیز بیترِ ہینہٕ گرنہٕ وِزِ](وَرگہٕ پأٹھی) کشمکش۔

دَبہٕ دَب کرٕنی۔ا۔اَکھ اَکِس پاونٛچ کوٗشش
کرٕنی۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) کشمکش کرٕنی۔

دَبہٕ دلنہٕ۔ا۔سہٕ دلنہٕ یُس اُتی لوٚننہٕ گنٛڈنہٕ تہٕ چھومبنہٕ
پییہ۔دلنہٕ یتھ دَبہٕ ییٛنہٕ ستؠ ژرٛیچہٕ ہشہٕ گاہرٕ
آسن۔۲۔ٹاس ٹاس دِتھ سۄر کرُن۔۳۔مَرگِ
مفاجات۔

دَبہٕ سۄر۔ا۔کرٛپُس۔بَند بَند پھٹُن۔ژٕن گرٛھن
۲۔اَکھ دَوایُس توت لو برَ سۄر تھنہِ یا تپلس ستؠ

رَلاُوِتھ تیار کرنہٕ چھُ یِوان۔
دَبہٕ لَرِ پیٚون ۔۱۔ ژھیٚنِتھ پینہٕ کِنۍ اَکی لَرِ شۆنگِتھ
روزُن ۔۲۔ (بمارِ کِنۍ) وَتھرِ نِس لاَرِتھ گژھُن۔
دَبہٕ لاَر ( گژھُن )۔ (ل۔م) دَبہٕ سٟتۍ لاَرِس کھٕنجہٕ
( گژھنہٕ )۔ (وَرگہٕ پاٗٹھۍ) ۆسۍ پینہٕ سٟتۍ یا سَخ
تھکنہٕ سٟتۍ کُرٛ پُس ( گژھُن )۔ بنٛد بنٛد پھُٹنۍ۔
دَبہٕ لۆر ( گژھنۍ )۔ (وَرگہٕ ) ژژٕ بہٕ (بہتھ گژھُن)
پتھرِس سٟتۍ (لارُن) خاصکٔرِتھ لَرِ جایہٕ ہُنٛد
بُنٛزلہٕ بیترِ سٟتۍ۔
دب پیٚون ۔۱۔ ژٕنڈ پیٚنۍ۔ ٹاس وَسُن ۔۲۔ نوقصان
واتُن ۔ ٹاس یُن ۔۳۔ (وَرگہٕ پاٗٹھۍ) چال یا
ژھل بیترِ سیٚو دِ گژھُن ۔ کانٛہہ ژھل کامیاب
سَپدُن ۔۴۔ (وَرگہٕ پاٗٹھۍ) ۔گرُن ۔ پتھ گژھُن۔
کارِبارَس مَنٛگ نہٕ روزُنۍ۔
دَب دیُن ۔۱۔ بُرِتھ دیُن ۔ داَرِتھ دیُن ۔ پتھر
وُکراوُن ۔ پتھرِس پیٹھ زورِ داَرِتھ دیُن۔
۲۔ ژٕنڈلاَسۍ ۔ ٹاس لایُن (لوریا کُنٛجہٕ بیترِ یِک)
گَٹھن دَل دیُن ۔ مِ: دَب یِیلہٕ دِتُم فِکرَن تہٕ
اَندیشَن ۔ (لل دید)
دَب کھیٚون ۔۱۔ ۆسۍ پیٚون ۔ پتھر پیٚون ۔۲۔ ٹاس
کھیٚون ۔ چوٗٹھ کھیٚون ۔ نوقصان تُلُن ۔ گرُن۔
۳۔ بٔتھ اَژُن ۔ ڈوکھ اَژنۍ (ۆسۍ پتھ یا ٹھۆکرِ
بیترِ لگنہٕ سٟتۍ) ۔۴۔ کاربارَس بیترِ پتھر اَسُن۔

سودا بیترِ نہٕ پکُن۔
دَب گژھُن ۔۱۔ ٹھہرٕ او گژھُن ۔ ژھین گژھُن ۔ مَنٛزٕ
وَقفہٕ پیٚون ۔۲۔ کمی سَپدنۍ ۔ ہَمُن۔
دَب لَگُن ۔۱۔ ( کھۆنت بیترِ لگِتھ) ۆسۍ پیٚون۔
پتھر لابنہٕ یُن ۔ (وَرگہٕ پاٗٹھۍ) ۔گرُن ۔ پیٚون۔
(کُنہٕ تھٔد دَرجہٕ پیٹھ) تھٕزل گژھُن ۔ یژتھ وَسُن۔
دَب وَسُن ۔۱۔ ٹاس پیٚون ۔ بزکھ پیٚون ۔۲۔ چال
بیترِ کارگر گژھنۍ ۔ بازی ترٛنۍ ۔۳۔ دزٕ وٕ گَس
مولَس پیٹھ کانٛہہ چیز مولی پیٚون ہیٚون ۔ ترٛنۍ۔
دَب والُن ۔۱۔ (لورِ بیترِ سٟتۍ) ٹاس لایُن ژٕنڈ ترٛاونۍ۔
۲۔ تھدِس مولَس پیٹھ کُٹُن ۔ تارٕنۍ۔
دَب ہالوٗ گے پھبرَن پھٹے ، اَچھ ہاژوے
پُکھاَرِ کھور۔ (تہٕ دٕ تھ گو) ۔ مُصیبتھ پینہٕ وِزِ
چھُ اَکھ بیا کھرَ فاقتھ کرنہٕ بَدل ٹاَنے ژٕٹان۔
دَب ۲۔ ن۔ مۆل: دَب حپزا کرِت ۔ دَبھ [اِلہٕ ہُنٛد
اَکھ قسم یُس زاڑبن مَنٛز آسان چھُ۔
دَبَر دَنۍ ۔ حَملہٕ دَمَل ۔ دُم ۔ چار ۔ [ گرُن ۔ گژھُن ۔ مِلہٕ
وُن]۔
دَبنگہٕ ۔ن۔ مۆل ۔ دَبنگ <ہ۔ دَبنگ = دَب+ انگ]۔
حبہٕ ہوشہٕ روٗس ۔ یُس نہٕ سورستھ گرِ ۔ سَخ نیٚنڈرِ مَنٛز۔
دَبنگہٕ روزُن ۔ خُمارَس اَنٛدَر روزُن ۔ سورستھ گرنہٕ
روٗس روزُن۔
دَبنگہٕ سَپدُن، پیٚون، گژھُن ۔ سَخ کاف کھَسنۍ سٟتھ

وِتھنہٕ گُرتھ ہکُن۔

دَبادَب/دَبودَب۔ <دَب+دَب، وُچھو۔دَب ]
۲۔پژارنہٕ وَراے۔تھکہِ روس۔ڈلی ڈلی۔
جلد۔فورَن۔۲۔پٔتُس پَتھ۔پیاپے۔

دَبار۔(وَرگہٕ)لانہٕ طانہٕ گرنہٕ باپتھ دِنہٕ وُن۔نہیب۔
روبہٕ داب۔

دَبار گرُن۔کھوژناوُن۔دِنہٕ وُن۔نہیب گرُن۔سَخ
روبہٕ داب گرُن۔

دَباغَت۔<ع:دَباغت]مَنڈُن (دالہٕ بیترِ)

دَباوُن۔ا۔دَبہٕ بیہناوُن۔۲۔زورِسان ژٕبلُن۔ژٕبلِتھ
بُرُن۔ ۳۔ژٕمبِنس تل تھوُن۔ ڈٕڑاوُن۔
۴۔روبہٕ داب گرُن۔کھوژناوُن۔۵۔(وَرگہٕ
پأٹھی) کھٕٹِتھ تھوُن۔گتھ تل کُن دِنی۔

دَبأوِتھ تھوُن۔ا۔تل ژٕھٹُن۔۲۔تل کُن پھٕٹراُوِتھ
تھوُن [پلوُک رِکنار بیترِ)۔۳۔ژٕوٕرِتھوُن۔
کانہہ تل تھوُن۔

دَبأے۔دَباوُنچ کأم(میُو بیترِ)۔

دَبہٕ رارَے۔ا۔ٹاسہٕ رارَے۔۲۔شُربن بیترِ ہٕنز دَمالی۔

دَبہٕ رارَے مِلہٕ وِنی۔ا۔ٹاسہٕ رارَے ٹکنی۔
۲۔دَمالی لائِگنی۔

دُبراے۔(گُنہٕ مکأنس)ہیرِ زورِ زورِ کھسنچ وَسنچ آواز۔

دَبن۔ا۔(وَرگہٕ پأٹھی) (کأنسہٕ ہٕندِس) روبَس تل
یُن۔۲۔ژٕبلنہٕ یُن (تل گوٚژھُن)۔۳۔کھٕٹِتھ

روزُن۔

ڈٕلی ڈٕلی تھوُن۔ژٕبل دِتھ تھوُن۔ڈٕسی ڈٕسی تھوُن۔

دَبدبہٕ۔ا۔دابہٕ۔روبہٕ داب۔اُہر (حأکمہٕ مہٕ بیترِ سُند)
۲۔بُڈٕ ہی۔۳۔شوٚہرتھ۔م:تٔسُند دَبدبہٕ اوس دوٗرتام۔

دَپُن۔ن۔موٗل:دَپ]۔ا۔وَنُن۔۲۔پأنی پانس وون
دِیُن۔سوچُن۔ژٕبتھ دِنی۔خیال گرُن۔م:
دپان چھس سوٚرے پیہِ تہٕ بہٕ کیا وَنس۔
۳۔سالس وَنُنک رٕسم۔کھانٛدرِ چ شٔنچھ وننہٕ
باپتھ مَہر ینہٕ مَہر ازٕس پایہِ مَنس سال گرُن۔

دَپَن بَتہٕ۔سہٕ سال یُس کھانٛدرِ والین اُشناوُرشناو
گران چھہٕ۔

دَپہٕ وُنی۔تم پوٚنسہٕ یم دَپنہٕ ینہٕ والین (وَرتاوِ پٕژھی)
دِنہٕ یوان چھہٕ۔

دَپُن تہٕ مأنزِ راتھ گُنی گرِنی۔ا۔سہی گژھہٕ
وُنے کھانٛدرِ گرِتھ نٕیُن۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)
کانہہ کارِیگدَم گرِتھ نٕیُن۔

دَپُن تہٕ مأنزِ راتھ گُنی گژھنی۔ا۔سہی گژھہٕ وُنے
کھانٛدرِ گرُن پیُون۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) کانہہ
کارجلدی مَنز گرنہٕ یُن۔

دَپنہٕ گژھُن۔کھانٛدرِ چ شٔنچھ ہٕتھ گژھُن یا سالس
وَننہٕ گژھُن۔

دَپنہٕ نیُرن۔اُنگن اُشناوَن بیترِ کھانٛدرس پٔتھ
سالس وَننہٕ گژھُن۔

دَپھتَم تہٕ پَکے۔ ا۔تَس اِنسانَس وَنان یُس پَننہٕ کَےٚ کامہِ گَران آسہ نہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) بیہوال۔ گوش۔ آلرٛشی۔

ڈُلِ ڈُلِ سودا۔ دوٚن دَربن ہنٛز سَرکھر گَرتھ کانٛہہ کامہِ (گَرُنی)۔ پوٗر بوزِ شوٗژ سان کوٗرمُت کار۔

ڈُلِ کام۔ سو کام یوٚسہِ اِنسان پَننہٕ کَےٚ گَرِ نہٕ۔ یوٚسہِ بیٚیہ ہٕنٛد وَننہ گَرُنی پیٚیہِ۔

دَپھا دَپھ۔ < آوازِ پیٚتھ ]۔ سوٗہَر یَتھ چیٚنٛکھی لگہِ۔

دَتَل ٹِجَل۔ یَتھ دَتہٕ ووتھان آسَن (زٔمین) ٹونٛڈ زٔمین۔

دَتہِ دوٚگل۔ تھکہٕ یا فِکرِ کِنہٕ وُچھان وُچھان گوٗب ئینٛدٕر پیٚنٛز۔

دَتُر۔ن۔ موٗل: دَتر < س: دھَتوٗر ]۔ ا۔ اَکھ زٔہریلہٕ بوٗٹی یا تیتھ دڑ امُت گولُر۔

دَتُر دیُن۔ ا۔ زَہر دیُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)۔ رُت سوٗلوٗک یِنہٕ گَرُن۔ ترٛژانہٕ۔

دَتُر سگرُن۔ (وَرگہٕ) کُنہٕ تیتھ چیٖزس پِلالہٕ کرُن یُس پَتہٕ پانٛسے دَوارِ واتناوِ۔ ناکارِ اِنسانَس ووتھِ بوٗ دیُن۔

دَتُر لَگُن۔ ا۔ دَتُر کھیتھ نشہٕ کھَسُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کانٛسہِ رُت گَرتھ تَس نہٕ یاد روزُن۔ ۳۔ جائی گَرتھ پاٹھی) جان کھیٚنہٕ باوَس کانٛسہ مَزہٕ لگنَس پیٚتھ وَنان کانٛہہ جان چیٖز دِتھ کانٛسہِ ظُلم باسُن یا اَپُرن گَژھُن۔

دَتُر وَتھرُن۔ (وَرگہٕ) سختی گَرُنی۔ تکلیف واتناوُن۔ م: گَنٛڈی وَتھراوُنی۔

دَترَس سَگ دیُن۔ وُچھو "دَتُر سگرُن"۔

دَتھ۔ م۔ موٗل: دَت] سُہ بوٗڈ پھوٗل یَتھ لَختہٕ آسہ گومُت۔ ژٔرل۔ بُڈ ٹُچ۔

دَتَن بَتہٕ گونٛہن فاقہٕ۔ تہٕ دُپتھ گوٗ فصل چھوٚمبتھ چھُ بَتہٕ وفوٗرٕ آسان مگر ییٚمہِ وِزِ فصل تیار آسہِ تَمہِ ساتہٕ چھُ بَتہٕ دڑاگ آسان۔

دَتہٕ قبر گَرُنی۔ لٲے لٲے پَتھرٕ پاوُن۔

دَتہٕ ووٗتُر۔ ا۔ سُہ زٔمین یَتھ سَخ دَتہٕ آسَن ووتھان۔ ٹونٛڈ زٔمین۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)۔ اُڈزاڈ۔ سَبتھالبکہٕ تھوکہٕ۔

دَتہٕ ووٗتُر گَرُن۔ (وَرگہٕ) سَخ اُڈزاڈ گَرُنی۔ یِڈبرِتھ بوٗ اری گَرُنی۔

دَتہٕ ووٗتُر گَژھُن۔ سَخ اُڈزاڈ پیٚنٛز۔ ٹُجل زٔدی گَژھُنی۔ سَخ بوٗ اری پیٚنٛز۔

دَتہٕ ووٗرِ نہٕ۔ اَبی زٔمینَس آب لٔدِتھ کھوٚرو یا مٔتی اَلہٕ بیترِ سٟتی دَتہٕ سُتراونہٕ۔ اَبی زٔمینَس بیوٗل وَونَس یا تھَل گَرنَس لایق بَناوُن۔

دَتہٕ ووتھنہٕ۔ کینٛہن زٔمینَس دلنہ دَانہٕ سٟتی ترٛلہٕ روزنہٕ۔

دَتھ گَژھنی۔ ا۔ لَختہٕ گَژھُن۔ دَرُن نٲٹھُن۔ ۲۔ وَٹھ گَژھُن۔ گوبر گَژھُن (میادَس بیترِ)۔ ۳۔ دَم گَژھُن۔ گَتھِ اوٗری شرٛ پنہٕ (پَنٛن کانٛہہ

نہٕ آسنہٕ موکھ ) شامہٕ ہکُن کڈِتھ۔

دَتھٕ۔ن۔مؤل: دَتھ <ف: ؟دستہ ]۔ا۔ مۆٹ بُرٕز
وَتُن ۔۲۔ وارِیاہ کاکدٕ یا کِتابہٕ گیوٚڈ۔

دَجَر۔ن۔مؤل: دَجر]۔زانِتھ مانِتھ کُلِس ڈول لاگُن۔بۆزِتھ
زوٗر لاگُن۔لاگِتھ چاڑی گی۔

دَجال۔ن۔مؤل: دَجال <ع: دَجال]۔ا۔فَساد کرُن
وول۔۲۔اِسلامی عقیدٕ مؤجوٗب سُہ شخص یا قوم
یُس اٰخر زمانس منٛز بے ایمٲنی پھالاوِ۔

دَچھ۔م۔مؤل: دَچھ <س: دڑاکشا]۔اکہِ رٲٹھ ہُنٛد
اَنٛجہٕ روٗستُے رَس دار میوٚ۔اکھ میوٚزاتھ۔

دَچھِ ترٛٲونٛگ۔تم دَچھِ گرٕن یِمَن کُنے گیوٚڈ آسہِ گوٗمت۔

دَچھ ڈٲکھ۔دَچھِ رٲٹھ ہُنٛد ڈٲکھ۔سُہ زالِ دار
ڈونٛگ ہیٚو یتھ پیٹھ رٲٹھ چھےٚ کھسان۔

دَچھ ڈونٛگ۔سو پُہر ہش یتھ پیٹھ دَچھِ رٲٹھ
کھاران چھےٚ۔

دَچھِ رَس۔دَچھِ کوٚڈمُت رَس۔(وَرگہٕ پٲٹھی)
مَس۔شراب۔مے۔

دَچھ راٹھ/رٲٹھ۔سو کانٛجہِ دار تھُر ہش یتھ دَچھ
چھےٚ پھوان۔

دَچھِ ربور۔دَچھِ ہُنٛد اکھ خاص قِسم۔ربور گامہٕ
ووپدٕ وٕنی دَچھ۔

دَچھِ رٲٹھ ہُنٛد وَر۔سدٕ بجَر۔

دَچھِ قلم۔سولا و دَچھ مۆر یوسہٕ رُونہٕ چھےٚ یوان یا
پیَوندس چھےٚ لگان۔

دَچھِ گُرٕ۔ژۆک دَچھ۔(یتھ سر کہِ تہٕ کڈان چھِ)۔

دَچھِ کوڈُر۔دَچھِ پھلیٚک بیول۔

دَچھِ گرٛٲٹھ تہٕ ڈونہٕ گرٛٲٹھ گرُن۔کانٛہہ مجبوٗری پیٚنہٕ
کٕنہِ گرا اورٕ تہٕ گرا یور گرُن۔ژھرٕ تہٕ ژھرٕٹھ کرٕنی۔

دَچھِ گرُن۔دَچھِ ترٛٲونٛگ۔تم وارِیاہ دَچھِ پھٔلی یِم
یکہٕ وٹہٕ اَویزان چھِ آسان۔

دَچھِ گرُن ہیٚو (الونٛد) اَویزان۔ا۔(وَرگہٕ)
تارِ گوٗمت۔۲۔اَگادِ گژھن۔

دَچھِ گموٗ کھیٚیہِ پَردیوٚمے دوپ پیٚنٕو ما۔تہٕ
دٔپِتھ گوٚ پنٛنہِ ترٛاوِتھ ووپر بُزی گرُن۔

دَچھر۔<دوٗچھو: دوٗچھ]۔ا۔کرٛیہنِیار۔گیٖٹہٕ۔۲۔(وَرگہٕ
پٲٹھی) وانٛجہِ ہُنٛد کرٛیہنِیار۔ظالِم۔

دَچھِ پوٗپُر۔اکہِ قِسمُک سوٗرِ رَنگہٕ پوٗپُر ہیٚو یُس گُلبن
پیٹھ اَژھین بولان چھُ۔

دٔخل۔ن۔مؤل: دٔخل <ع: دَخل]۔(کُنہِ گتھِ یا
مامَلس بیترِ] منٛز اَژُن۔(کُنہِ گتھِ بیترِ منٛز)
زَنگ ژھٕٹنی۔خامخاہ پنٛنی رائے دِنٕی۔

دٔخل دَر موقوٗلاتھ۔بلہِ پرٛتھ مامَلس اَنٛدر پنٛنی رائے
دِنٕی۔زورٕ زَنگ ژانٛنی۔پرٛژھنے گرنے پرٛتھ کُنہِ
تھس مامَلس منٛز اَژُن یتھ لایق نہٕ آسی زِ۔

دٔخل دِین۔منٛز اَژُن (کُنہِ گتھِ یا نیاَیس بیترِ)۔

دَدار۔ن۔مؤل: دَدار <س: دَردَر]۔ا۔دُکھ یا نوقصان۔

۲۔(زُوٚس ہیتِر) خرٲبی۔ وٲرٲنی۔

دداڑ کرُن۔ زٲنِتھ مٲنِتھ نوقصان کرن۔ کانٛہہ چیز یا جاداد ہیتِر وٲران کرُن۔

دَرداڑ گژھُن۔ نوقصان واتُن (خاصکٔرِتھ ناگہٲنی پٲٹھۍ)۔

دَداڑ واتُن۔ سَخ نوقصان گژھُن۔

دَداڑ واتناوُن۔ نوقصان کرُن۔ جاداد ہیتِر تباہ تہٕ بٕرباد کرُن۔ تہٕ کیٛنٛہہ کرُن ییٚمہِ سٟتۍ دوٚیمِس نوقصان واتہِ۔

دڈّوِدام۔ چرٛند ووٚپرند۔ حیوان تہٕ جاناوار

دَدِروٗس۔ <ف: دَد+رُوس]۔ ل۔م۔ روٗسُک ہاپُت (ورگہٕ) بےوُقوٗف۔ وُچاپہٕ۔

دَدِ۔ موٗل: دَد<س: دیدک۔ دَبدَھ] گنٛڑ دار۔ گنٛڑل۔ یتھ شرٛکی آسَن (برٛزِ وَتُن ہیتِر)۔

دَدِ پد۔ اَپزٕ شاریا کتھ ہیتِر یوسہٕ کانٛسہٕ مشہوٗر شاعرس یا عالمس ہیتِر لاَرِتھ تھوَنہٕ ییِہ۔

دَدِپھلِل۔ (ورگہٕ) سوکوٗریا گوٚبرٕیس مٲلِس ماجہِ میٚون ہیٛولِلہٕ وُن ییٚیہٕ۔ م: منکنٛگ تد ورُک۔

دَدِلار۔ پھلِل لار۔

دَدِر۔م۔ موٗل: دَرد<س: دَردَر]ا۔ گلٛیک ہیتِر اَندریُم کھوکھر جِصہٕ۔ ۲۔ اَکس جاناوارِ سُند ناوٕیس کلبن کوٗران چھُہٕ۔ ۳۔ دزاٛ تھیٚوٗمت۔

۴۔ (ورگہٕ) موٚٹ تہٕ دزوٗٹ لوٚکٹ کوٗر۔

دوہٕ گژھش کوٗر۔

دَدِراَرے۔ا۔ گزٕنٛزس پٮ۪ٹھ گزٕنٛزو۔ کھزٕ ٹنگ۔ زوٚرِ زوٚرِ بوٲرِی۔ ۲۔ تہٕ یادِ گنٛز (اَشٕس ہیتِر)۔

دَدِوُن۔ گنٛڈ کاوٕرِ نچ دَگ۔ رٕبے۔

دَرا۔ <ف: دَر ]ا۔ منٛز۔ اَندر۔م: درِ دست۔۲۔ اَکھ اَکس پٮ۪ٹھ۔ م۔ فوج دَرفوج۔ ژٕہ دَرژٕہ۔

دَراصل۔ بُنٛیٲدی۔ بِذاٲتی۔ پزٕی کٔنی۔

دَرانداز۔ ژوٗرِ ژھٮ۪پہِ ملکس منٛز (فسادٕ تُلنہِ) اَژَن وول۔

دَرپَردہ۔ا۔ ژوٗرِ ژوٗرِ۔ کھٹِتھ ژوٗرِ پٲٹھۍ۔۲۔ یَس پلوٚ ہیتِر۔ یُس کتھہِ اَستانٛس مُرادِ پزٕی گنٛڈان چھہٕ۔ (دَرپَردہ ۲ وُچھو۔ درٕ ۲ لفظس تل)۔

دَرپَے۔ پتہٕ۔ گوٚس۔ ژرٕ ژنٛس۔

دَرپیش۔ بُتھہٕ۔ بزونٛہہ کُن۔

دَرجواب۔ یہٕ کیٛنٛہہ کتھِ جوابہٕ پزٕی پھیرِتھ وَننہٕ ییِہ۔

دَرجوش۔ا۔ زَبردَس جذبہٕ سان۔ وَلولہٕ سان۔ ۲۔ یِرِہٕ سان۔ ۲۔ جبرٕ ن۔ ڈبہٕ ژٕکرِتھ۔

دَرحقیقتھ۔ پزٕی کٔنی۔ پزٕی پٲٹھۍ۔ دَراصل۔

دَردُنی یا۔ا۔ یتھ عالمس۔۲۔ درٕس دُنی یہٕس۔ ساری سے عالمس۔

دَرکنار۔ اکھ طرف۔ اَکھ کُن ترٲوِتھ۔

دَرگذر (کرُن)۔ ماف (کرُن)۔ مٲفی (دِنی)۔ زیادِ باز خاص تہٕ تُلُن۔ اَچھ ٹوٗنی (کٔنہِ مٲلکس)۔

دَر۲۔ <ف: دَرس: دوار ] ۔۱۔ مکانس منز اژنچ نیرنچ وَتھ۔ دَروازٕ ۔۲۔ شطرنج پچہ ہُندا کھ خانہٕ۔

دَر پَردٕ۔ پَردٕ (دَروازَن ہندی )۔

دَر دیوار۔ پینڈ پُرن۔ روزَن جاے۔ بہن جاے۔

دَر۳۔ ن۔ مؤل: دَر۔ م۔ ہ: در ] ۔۱۔ تیوٗت وَزَن یہ تزکرِ پاترس کھسہِ ۔۲۔ باو۔ مول۔

دَرس پیٹھ کھسُن ۔۱۔ تزکر کھسُن ۔ تولنہٕ خاطر تزکہِ منز تھونہٕ یُن ۔۲۔ لگہٕ تھن لگُن۔

دَرس کھسُن ۔۱۔ تولنہٕ یُن۔ سَر گرنہٕ یُن ۔۲۔ جھلس لاینہٕ یُن۔

دَرس کھوٗتمُت ۔۱۔ تولنہٕ آمُت ۔۲۔ بَدنام گومُت۔ لگہٕ گتھن لوٗگمُت۔

دَردیُن ۔ تولُن ۔ وَزَن وُچھُن۔

دَر گرُن ۔ تولُن ۔ وَزَن وُچھُن ۔ تزکرِ منز تولُن ۔ وَزَن گرنہٕ باپتھ گنہِ چیزَس پیٹھ کھارُن۔

دَرلاگُن ۔ وَزَن گرُن ۔ کنُن۔

دَرحتہٕ ہیوٗ پیوٗن ۔ دَبہٕ لرِ پیوٗن ۔ گُل ہیوٗ پیوٗن ۔ پسارٕ پیوٗن۔

دَراز۱۔ <ف: دَراز ] ۔ زیوٗٹھ ۔ دوٗر ۔ تھوٗد ۔ ہیوٗرتام۔

دَرازِ ناساز ۔ سُہ شخص یُس پَزٕنہٕ پیٹھی تھوٗد آسہِ ۔۲۔ قَد زیوٗٹھ مگر عقلہِ روٗس اِنسان۔

دَراز دیُن ۔۱۔ رَبن زَنگن واش کَڈتھ شوٗنگُن ۔ لَمباسہٕ تراوُن ۔۲۔ پان پَتھر ژھاسُن ۔ ڈامب لاگُن ۔۲۔ مَرنہٕ بروٗنہہ پانٔ پانے زَرِ زَنگہٕ وُہرتھ شوٗنگُن پتمِ گرواتی۔

دَراز سپدُن ۔ کاڈ دیُن ۔ (زَرِ زَنگہٕ وُہرتھ ) پان تراوُن۔

دَراز گرُن ۔۱۔ پتھر پاوُن ۔ پَتھرِ پاوُن ۔۲۔ پتی مس بزوٗگی مس حساب ہیوٗن ۔ بوٗزِتھ ہیوٗن۔

دَراز۲۔ ن ۔ موٗل: دَراز <انگ: ڈراأرز Drawers ]
میزَس بُنہٕ کنی چیز بیترِ تھاونہٕ باپتھ ڈَبہٕ چالہِ خانہٕ۔

دَراز۳۔ <انگ ۔ ڈراأرز Drawers (موزٕ کی پاٹھی وونہٕ آمُت ) تنگ اَندرِ ری بیزار۔

دَرامَد ۔ مال یا چیز بیترِ یُس بیٚیو مُلکو پیٹھ منگناونہٕ ییہِ ۔ م ۔ برامَد۔

درٔ نگی ۔ لوکٹ تہٕ چوبُر کوٗٹ۔

دَرٔ نگی ۔ م ۔ مؤل: درنگی <ف: درنگی ] ۔ ژیر روٗٹ ۔ اُٹھکاو ۔ ہیٹھ ۔ سوٗژر ۔ سوٗ پیر۔

دَرٔ نگی گرٕنی ۔ ژیر لاگُن ۔ گتھِ زَچھر دیُن ۔ ہیٹھ لاگنی ۔ روٗٹ گرُن۔

دَرٔ نگی گرٕ ھنی ۔ ژیر گرٕھن۔

دَرٔ نگی لاگنی ۔ وَق لاگُن ۔ ہیٹھ لاگنی ۔ (ہٹہٕ ہٹہٕ ) ژیر لاگُن۔

دَر۱۔ ن ۔ مؤل: دَر <س: دَھر ] ۔۱۔ لُمن ۔ درٔ سہٕ ۔۲۔ روٗزِتھ گوٗہنچ حالتھ ۔۳۔ لَمہٕ ۔۴۔ کولہِ ہیوٗتمُت گنڈ ۔۵۔ لوکٹ آبہٕ جوے ۔ واربن بیترِ سَگ۔

تژ اونچ لو ءکٹ کول۔ کھٔو مٔنزی لو ءکٹ کول۔
۲۔ (وَرگہ پاٹھی) لے۔ اُلفت۔
دَرس لگُن۔ ۱۔ اَتھِس حالتَس اَنٛدر آسُن یتھ اَنٛدر نہٕ ہوریا یور ڈلُن بنہِ ۲۔ ژُوس کھسہِ وَس لگِنی۔
۳۔ کانٛسہِ پزاران پزاران اُچھ لوسنہِ۔
دَرِ دَرِ۔ ۱۔ لَمہِ لَم۔ کشمکش۔ ۲۔ ہیٹھ۔ ۲۔ مازرتھ۔
۳۔ مول کھارنَس یا والنَس پیٹھ تکرار۔ ۴۔ سدرِچ ووُمید ہش۔
دِرِ دَرِ گَرِنی۔ ۱۔ لَمہِ لَم گَرِنی۔ ۲۔ کھبَس چَنَس سَخ زور گَرُن۔ پژھس بیترِ سَخ مازرتھ گَرِنی۔
۳۔ سودٕ ہکس چُکاوَس مُکاوَس پیٹھ دُکاندارَس ستیٖ گتھ گتھ گَرِنی۔
دَرِ دَرلائِ گنی۔ ۱۔ اَکھاَ رکس طرفَس کُن درِسہِ دیُن تہٕ بیٚا کھ بیٚیس طرفَس کُن لَمہِ لَم۔ ۲۔ کانٛسہِ ہُنٛد گرِ اژنَس پیٹھ اورِ یور لَمہِ لَم۔ ۳۔ اَکھ نہٕ ہورِ بوزان تہٕ بیٚاکھ نہٕ یورِ۔ ۴۔ سودٕ ہَس مول کھارنَس والنَس پیٹھ گِکھر لائِ گنی۔
دَرِ دیُن۔ ۱۔ لُمن۔ زورِ سان درِسہِ گَرُن۔ ۲۔ کُنہِ مامَلس منٛز درِسہِ دیُن۔ یُس تہٕ یتھ لایق آسہِ تُسنٛد تتھ منٛز اَتھہٕ ژھنُن۔ ۳۔ (وَرگہ پاٹھی) مول کھارُن۔ قیمت ہُراوُن۔ ۴۔ آب بیترِ کڈنہٕ باپتھ زمینہٕ مٔنزی لو ءکٹ جوے کڈنی۔
۵۔ گِکھر لائِ گنی۔
دَرِ گَرُن۔ ۱۔ درِسہِ دیُن۔ لُمن۔
دَرِ گنڈُن۔ کولہِ گنڈ ہیٚون۔
دِرِ لگُن۔ ۱۔ درِسہِ لگُن۔ ۲۔ اَنٛتہِ گوٚھن۔ رٕہتھ گوٚھن۔ اَکِ سے کُن وُچھان روزُن۔ ۳۔ ژُو کھسہِ وُن روزُن۔ ۴۔ آب ڈورِ بیترِ منٛزِ نیرتھ ژلُن۔ ۵۔ (کانٛسہِ کُن) تژاے گرِ ژھنی۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) طرف گَرُن۔
دَرِ۲۔ ن۔ مؤل: در < ف: درہ ]۔ کُنہِ بالَس یا کوہَس منٛزی وَتھ۔ کوہہٕ کھون یا گوٚل یہٕ پاٚرکی لؤکھ اَپار یپور تران چھِ۔ دوٚیوٚ بالو یا کوہو مٔنزی اَپارِ یپور ترَنچ وَتھ۔
دَرِب۔ م۔ مؤل: دَرِب < س: دَربھ ]۔ اَکھ وُسنٛز گاسہٕ قسِم۔
دَربہِ ڈینٛٹھُن۔ دَربہٕ ہنٛز وُتھُم رز۔ یوسہٕ میکھلہ مُہراز گمرس گنڈان چھِ۔
دَرِج۔ ن۔ مؤل: درج < ع: درج ]۔ ۱۔ لِکھِس منٛز شامِل۔ یُہی کھاتَس بیترِ کھارنہٕ یا تارنہٕ آمُت۔
۲۔ کھتاوتھ۔
دَرِ چاے۔ دَرَن ہنٛز چاے۔ (وَرگہ) سو چاے یتھ پزاران پزاران اُچھ لوسَن۔ چاے یوسہٕ واریاہَس کالَس پزٔرِتھ دِنہٕ یِیہ۔
دَرِدا۔ ن۔ مؤل: دَرد < ف: درد ]۔ ماے موٚحبتھ۔
۲۔ ژُک۔ دَگ۔
دَرِ دمَنْد۔ ژُکی دار۔ پٔژُن۔ ہم درد۔

دَردِسَر ۔ مثھکہٕ دَگ ۔ کلہٕ دود ۔

دَردٕسان ۔ ملیہ سان ۔ ژُکہٕ سان ۔ پَنُن زاَنتھ ۔ کنہٕ ہاوٕباوٕ وراَے ۔

دَردٕ ہوٚت ۔ وُچھو ''دردمند''

دَردٕ۲ ۔ دَردی ۔ ن ۔ مۆل: درو > س: دارو ] ۔ گلگت ۔ چلاس ۔ بونجہ یا گریزٕک روزَن وول ۔ دَرد علاقُک روزن وول ۔

دَرس ۔ ن ۔ مۆل: دَرس > ع: دِرس ] ۔ سَبَق ۔ خاص کرِتھ مذہبی تألیم ۔ مکتبس منٛز پرٛ رمُت ۔ وۄستادس نِشہٕ ہیٚوچھمُت ۔

دَرم ۔ ن ۔ مۆل: دَرم > س: دھرمہ ] ۱ ۔ مَذہب ۔ مَتھ ۔ ۲ ۔ یِہ کیٚنٛہ کاَنٛسہِ پزِ ۔ فرض ۔ ۳ ۔ سو باو ۔ خصلتھ ۔ مزاج ۔ ۴ ۔ ثواب ۔ جاَنی ۔ نیکی ۔ پونٛی ۔

دَرم بوے ۔ ۱ ۔ یژِ پاَٹھی چھِ گُجرس پاتھلکی لُکھ دَرم بوے وَنان ۔ ۲ ۔ یُس پَنُن بوے نہٕ آستھ بوے یِیہٕ بناونہٕ ۔

دَرم بیٚنہٕ ۔ سوٗ زنانہٕ یوسہٕ زِنہٕ بیٚنہٕ یا ہَم مَذہب نہٕ آستھ تہٕ بیٚنہٕ وٕنٛدنہٕ یِیہٕ ۔

دَرم دان ۔ ۱ ۔ یِہ کیٚنٛہ دَیہٕ سٕنٛز وَتہٕ دَیہٕ سٕنٛدِ ناَوِ دِنہٕ یِیہٕ ۔ ۲ ۔ پونٛی ۔ ثواب ۔

دَرم سال ۔ م ۔ مۆل: دَرم سال > س: دَھرمَہ شالا ] دَرمہٕ پٛژھی بناونہٕ آمژ سَراے ۔ یتھ منٛز وَتہٕ گتھ تہٕ ضۆرۆرَتھ مَند روٗزِتھ ہیکَن ۔

دَرم کَرم ۔ ۱ ۔ مَذہبی فرض تہٕ رسوٗم ۔ ۲ ۔ تِم مختلف رسوٗمات یِم ہیٚنٛدی کاَنٛسہِ ہٕنٛدِس مَرنَس پتھ انجام چھِ اَنان ۔

دَرم کرٕن ۔ ثواب زیٚنُن ۔ پونٛی زیٚنُن ۔ دَیہٕ سٕنٛدی ناَوِ کانٛہہ رٕژ کاَم کَرٕنی ۔

دِرم ماَج ۔ بڑٕ دِبد ۔

دَرمس دیُن ۔ ۱ ۔ دَیہٕ ناَوِ دیُن ۔ خاَراتھ کرُن ۔ ۲ ۔ تِتھے دیُن ۔ مُفت دیُن ۔ ۳ ۔ پونٛی یا ثواب زینہٕ باپتھ کاَنٛسہِ کیٚنٛہ دیُن ۔ مَنساوُن ۔

دَرمی ۔ رٕژٕ کامہٕ کرَن وول ۔ نیک سیرَتھ تہٕ مَذہبس پٮ۪ٹھ پکَن وول ۔ دٔہن دار ۔

دَرمہٕ پیٚون ۔ مَذہبہٕ نِشہٕ ڈٔلُن ۔ گُمراہ گژھُن ۔

دَرمہٕ داٖنٛد ۔ ۱ ۔ سُہ داٖنٛد یُس دَرمکی ناَوِ وانہٕ لاگنہٕ نِشہٕ مُچھ آسہِ تراونہٕ آمُت ۔ ۲ ۔ سُہ یلہٕ داٖنٛد یُس جایہٕ جایہٕ پھیران آسہِ ۔ ۳ ۔ (وَرگہٕ پاَٹھی) سٕرٕ نٛدٕ اِنسان یُس کیٚنٛہ کرنہٕ روٗستے لاَمٕنٛز پھیران آسہِ ۔

دَرمہٕ راز ۔ ۱ ۔ اِنصافُک دِوتا ۔ سُہ یُس کرمَن ہُنٛد پھَل آسہِ دِوان ۔ ۲ ۔ پانڈَوَن ہٕنٛدِس زٔٹھس باَیس یُدِشٹرس تہٕ وَنان ۔ ۳ ۔ کانٛہہ راز یا بادشاہ یُس پٔزِس پتھ آسہِ ۔

دَرمہٕ شاسترٕ ۔ سُہ شاسترٕ یتھ منٛز ہیٚنٛدٕ بن ہٕنٛدٕ بن فرضَن تہٕ حَقَن ہنٛز وَکھنے آسہِ ۔ ہیٚنٛدٕ بن ہُنٛد قونوٗنِ شرٕع ۔

دٕرمہٕ وانٕ۔ سُہ شخص یُس نیک تہٕ رُت آسہِ۔ مذہبُک
پابنٛدِ شخص۔
دَرمہٕ ہان کھسنۍ۔ ۱۔ دَرم پھٕٹراوُن دۄش یا راہ
مَتھِ کھسُن۔ ۲۔ (ہزلہٕ پاٹھۍ) رٕتس کرٕت گژھن۔
ثواب اُتس کھسُن۔
دَرمہٕ ہان ہیٚنۍ۔ وِچھو ''دَرمہٕ ہان کھسنۍ''۔
دَرُن۔ ن۔ مۄل: دَر < س: دِڑ ڈھ] ۔ ۱۔ دۄر روزُن۔
۲۔ پَننہِ جایہِ روزُن۔ ژٕلُن نہٕ۔ م: یہٕ نوکر دَریا۔
۳۔ دۄر گژھن۔ ڈٕلُن نہٕ۔ فاقہٕ بیترِ تھوُن۔
۴۔ رۄد شیٚن بنٛد گژھن۔ دۄر گرُن۔ ۵۔ کُنہِ
کتھ پیٹھ ہلُن۔ بُتھۍ پھیُر گژھن۔ ۶۔ مَرنہٕ
نِشہِ بچُن تہٕ زُو گرُن۔ ۷۔ یاد روزُن۔ م: سَبق
دَرُن۔ ۸۔ رَنہٕ تلہٕ دۄر گژھن۔ سنٛبُن نہٕ۔
۹۔ سدُن۔ پۄر ہیچھُن۔
دَرناوُن۔ ۱۔ (روز بیترِ) تھاوُناوُن ۲۔ ڈنجہٕ بیہناوُن۔
درۄغ۔ ۱۔ اَپُز۔ بےٚ بُنۍ یاد۔ ۲۔ بوہتان۔
دَریٚدر/دلیٚدر۔ ن۔ مۄل: دریٚدر < س: دَرِدرٕ] شکٕس لَد۔ ؤسی
پاپہٕ یُس کانٛہہ کنہِ بیٚہنہٕ نہٕ دِیہ نہٕ۔
دَربر۔ ن۔ مۄل: دَربر < س: دِڑ ڈھتا] ۔ ۱۔ مضبوطی۔ پوچھر۔
۲۔ ڈکھ۔ ۳۔ ہمتھ گرٕنۍ۔ جبر ؤتھ گرُن۔
دَربر کَرُن۔ ہمتھ کرٕنۍ۔ جبر وتھ کرُن۔ وُرغلاونہٕ یُن۔
دَربار۔ [مۄل: دَربار < ف: دربار] ۔ ۱۔ سو جاے یتہٕ
کانٛہہ رَسِم پۄرٕ گرنہٕ باپتھ لۄکھ سمَن یا سِے اَتۍ
آسَن۔ ۲۔ (ہزلہٕ) سو مُجلس یتھ منٛز بادشاہ سٕندی
خاصل خاص سمَن۔
دَربارداری۔ ۱۔ (ہزلہٕ) چاپلوٗسی کِنۍ مجلس لاگنۍ۔
۲۔ بٕتھ۔ ۳۔ غرضہٕ موکھ یُن گژھن۔
دَربارداری کَرنہٕ یٚہن۔ فوضوٗل کتھن دَل دِنہٕ یٚہن۔
دَربارداری لاگنۍ۔ ۱۔ بٔکو بٕتھ لاگنۍ۔ پانس ستۍ
بیٚہہ واریاہ لُکھ بیٚہہ کرٕنۍ ۲۔ (ہزلہٕ) خامخاہ
یُن گژھن لاگُن۔
دَربار کھسُن۔ نوکری پیٹھ گژھن۔ بوڈ دفتر گژھن۔
دَربارلاگُن۔ ۱۔ بٕتھ لاگنۍ۔ ۲۔ سبٹھا کتھ گرنہٕ۔
دَرباری۔ ۱۔ دَربارٕ وول۔ ۲۔ دَربارس کھسُن وول۔
دَرپدَر۔ < ف: دَرپدَر] ۔ ۱۔ گرٕ گرٕ وَتہِ وَتہِ پھیرَن وول۔
یُس نہٕ ٹھور ٹھکانہٕ آسہِ۔ ۲۔ کامہِ کارٕ روس۔ بیکار۔
دَرپدَر پھیرُن۔ بٔکو جایہِ جایہِ پھیرُن۔ آوارٕ آسُن۔
دَرپدَرتہٕ خاک بسَر۔ (ووہوٗ پٕرٛژھی وَننہٕ یوان) آوارٕ۔
وُجار۔
دَرپدَر گرُن۔ ۱۔ وَتہِ وَتہِ پھِر ناوُن۔ بےٚ مقصد
اورٕ یورٕ پھِر ناوُن۔ ۲۔ وَتہِ ڈالُن۔ کُنہِ لایق نہٕ
تھوُن۔ آوارٕ گرُن۔
دَرپدَر گژھن۔ ٹھور ٹھکانہٕ نہٕ روزُن۔ آوارٕ گژھن۔
تباہ گژھن۔ بال بچہ نہٕ لگُن۔
دَرپدَری۔ ۱۔ آوارٕ گی۔ ۲۔ تباہی۔
دَرپدَری گرٕنۍ۔ وَق راوٕرُن۔ کانٛہہ کام نہٕ گرٕنۍ۔

وَق ضایہ کرُن۔ ژھرٕ ژھ دِنۍ۔ اَرسَرٕ گرٕنۍ۔

دٕرٕبدری گژھنۍ۔ تباہی گژھنۍ۔ اَتھِ نہٕ کینٛہہ یُن۔

بال بَچھ نہٕ روزُن۔ (یہ چھُ دوہوتہٕ)۔

دٕرٕبدری ہٕنٛدی کیرَن آسنۍ۔ خراب گژھنکی علامتھ آسنۍ۔ رَف تباہی طبیعتُک اِنسان۔ یَس نہٕ بجاؤ ہُند کانٛہہ خیال آسہِ۔

دَرٕبدٕری۔ وَنہِ راوُل۔ آوارٕ۔

دَرتَن۔ زاُوِ جہِ مَلمَہِ ہُند موٗلُل پوشاکھ۔

دَرتھی۔ (دھرتی) <س: دھرِتری]۔ زمین۔ بٕتراتھ۔

دَرجَن۔ موٗل: درجَن < انگ۔ ڈزن۔ Dozen]۔ (گزٕتوٗ کنۍ) یکوٚتہٕ باہ (چیز بیترِ)۔

دَرجاتھ۔ ن۔ موٗل: دَرجات < ع: درجات]۔ پوٚنۍ۔ ثَواب۔ رٕژَر۔

درجاتھ زیُٛن۔ ثَواب زیُٛن۔

دَرجہِ۔ ن۔ موٗل: درج <ع: درجہ ]۔ ۱۔ جَماتھ۔ ۲۔ روتبہٕ بَجَر۔ ۳۔ رٕژَر۔ ۴۔ ڈِگری۔

درجۂ حَرارت۔ ٹیمپریچَر۔

دَردَر۔ ۱۔ ہیرَن بیترِ زورٕ زورٕ وَسنٛچ آواز۔ ۲۔ ڈٕلہِ گوٚسنٛچ آواز۔

دَردِل۔ پٔژن۔ ہَمدرد۔ دُکھ دار۔ رٔفیق۔

دَرشنی۔ (ہزلیہ) نقلی۔ وَچھنہٕ باپتھ یوت۔ پیٛٹھ پیٛٹھی۔ سَرسری۔

دَرشُن۔ ن۔ موٗل: دَرشَن <س: دَرشَنہ]۔ بُتھ وُچھن یا ہاوُن۔ دیٖدار۔ زِیارتھ۔

دَرشَن دأرٕ۔ کُنہِ اَستانچ سوداُرٕ یَپأری زِیارتھ چھِ ہاوان۔

دَرشَن گاہ۔ سو جاے ییٚتہِ زِیارتھ یَیہِ کرنہٕ۔

دَرشُن دیُٛن۔ ۱۔ مُلاقاتھ دیُٛن۔ ۲۔ بُتھ ہاوُن۔ دیٖدار ہاوُن۔

دِرشُن کرُن۔ دیٖدار کرُن۔ زِیارتھ وُچھنۍ۔ بُتھ وِچھُن

دَرشُن ہاوُن۔ بُتھ ہاوُن۔ سَمکھنہٕ دیُٛن۔ کانٛہہ پوٚتٕر یا مُقدَس چیز ہاوُن۔

دَرکار۔ <دَرکار]۔ <لگِہ ہار۔ بَکار۔

دَرکہٕ۔ ن۔ موٗل: دَرک <س: دَھر]۔ ۱۔ دزٕ سہٕ چار۔ ۲۔ سیٚو دسیٚو دمانُن۔ دَرٕ ژَٹھ روزَن۔

دَرکہٕ رٔٹُن۔ ۱۔ سَہل پأٹھی نہٕ مانُن۔ سیٚو دسیٚو دنہٕ نُمن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) دِمباغہٕ سان روزُن۔ چار رٔٹُن۔

دَرکہٕ کرُن۔ کُتھ لاگُنہ کنٕز ژیر کرُن۔

دَرکہٕ لاگُن۔ ۱۔ چار لاگُن۔ ۲۔ کُنہِ سود ہَس مَنٛز موٗلَس پیٛٹھ دُکاندارَس ستۍ ٹھَمہٕ ٹھم لائٕنۍ۔ ۳۔ ژیر لاگُن۔ ۴۔ بحث لاگُن۔

دَرگاہ۔ ن۔ موٗل: درگاہ <ف: درگاہ]۔ ۱۔ ڈیڈی۔ بَرَن۔ ۲۔ شاہی دَربار۔ ۳۔ آستان۔ زِیارتھ۔ ۴۔ سرینگرس اَنٛدرا کہٕ بجہِ زِیارٕ ژھُنٛد ناو۔ حضرت بَل۔

دَرگاہِ عالی۔ بٔڈ زِیارتھ۔ بوٚڈ آستان۔ سو جاے ییٚتہِ کأنٛسہِ بٔڈ مرتبہٕ کَس بُزرگہٕ سنٛز تورٕبتھ یا سمادھ آسہِ۔ بوٚڈ دَربار۔

دَرمارتھ ۔ن۔مؤل: دَرمارتھ <س: دھرمارتھ ]۔ا۔سُہ
مَحکمہٕ یُس دَرچھِن کامبن تہٕ ادارَن مَدَد دِوان تہٕ
حِفاظَتھ کَران آسہِ۔۲۔خَیراتھ۔مُفتُک مال۔
مِ نیہ کیا دَرمارتھ چھا؟۔
دَرماندٕ ۔مؤل: دَرماند <ف: درمانده ]۔رُؤزِتھ گومُت
پریشان۔الِتر وجہِ۔
دَرماند کَرُن۔الِتر وجہِ کَرُن۔پریشان کَرُن۔
دَرماندٕ گژھُن۔رُؤزِتھ گژھُن۔پریشان گژھُن۔
الِتر وجہ گژھُن۔
دَرماندٕ گی۔پریشانی۔
دَرمیان۔مَنز باگ۔اَنْدَر۔مَنزس۔
دَرمیانہٕ۔ا۔مَنز باگ۔۲۔سوٗم۔نَہ زیادٕ لوکٹ نَہ زیادٕ بوڈ۔
دَرمیانہٕ دار۔مَنزیم۔اورٕ یورٕ شُچھ پَیغام واتناوَن
وول۔ دڑال۔مَنزِ کھپِھ کڈِتھ نَنہٕ وول۔
ثالث۔
دَرمیان دٲری۔دَرمیان دارٕ سِنز کام۔دڑالۍ۔ثالثی
دَرواز۔ن۔مؤل: دَرواز <ف: دَروازه ]۔ا۔مَکانَس
بیتر مَنز اَژَنچ نیرَنچ وَتھ بَر۔۲۔کُنہ نالَس یا ڈرِ
یاوَس بیترِ آبَس ٹھوٗر کَرنچ یا آب یَلہٕ ترٛاونچ
وَتھ۔ترٛاوَن بَر۔
دَراوزٕ تھوٗن۔بَر دیُن۔
دَروازٕ ٹَنگہٕ کڈُن۔ا۔(وَرگہٕ) پتہٕ روزُن۔تھَچھے
نہٕ ٹَکنی۔۲۔پَنُن غرض کڈنہٕ باپَتھ پتہٕ گژھ

کَران روزُن۔
دَروازٕ دیُن ۔دَروازٕ بَند کَرُن۔دَروازٕ پَٹ وٕٹُن۔
دَروازٕ ہَنگ ۔چارچوبہٕ ہُنز پیٹھِم کَر۔بَرکَر۔
دَروازٕ ہا کھ۔دَروازٕ چہ چارچوبہٕ ہُنزٕ ژھنِنی یا کھوٗرکَر۔
دَرویش۔ن۔مؤل: دَرویش <ف: دَرویش ]پَرہیزگار۔
فَقیر۔خودایہ سُندٕ ٹوٹھ بُزرگ۔
دَرویٖشی۔پرہیزگٲری۔
دَرویٖشی ہاوٕنی ۔پرہیزگٲری تھکہٕ ناوٕنی ۔
دَرہَم بَرہَم ۔ن۔مؤل: دَرہَم بَرہَم <ف: دَرہَم بَرہَم ]
ا۔بےٚ ترتیب پٲٹھی چھکرِتھ۔کُنہٕ حِسابَس
اَنْدَر نہٕ ۔چھلہٕ چھانگرٕ ۔۲۔تَباہ۔
دَرہَم بَرہَم کَرُن۔چھلہٕ چھانگرٕ کَرُن۔تَباہ کَرُن۔
دَرہَم بَرہَم گژھُن۔تَباہ گژھُن۔چھلہٕ چھانگرٕ گژھُن
دڑَت راشٹر (دھرت راشٹر) <س: دھرِ تراشٹر ]۔
کوروَن ہُنْد مؤل یُس اوٚن اوس۔
دٕرٹھٕ پانژُک۔ن۔مؤل: دڑٹھٕ پَنژُک <س: دھنشٹھا
پنچکہ ]پانژَن سِتارَن ہُنْد وَق۔یُس دنشٹ
ساتھ لَگنہٕ کہِ اڈٕ پیٹھٕ پانژَن دوہَن چلان چھُ۔
(وَرگہٕ پٲٹھی) منحوس ساتھ۔
دڑٹھٕ پانژُک لَگُن۔(وَرگہٕ) کُنہٕ کلمہٕ رؤٹ گژھُن۔
دڑ ڈ۔م۔مؤل: دڑ ڈ <س: ڈرٕ ڈھ ]۔کُنہٕ کتھِ یا کارَس
پیٹھ دَر بَر۔کُنہِ کتھِ کَمر گنڈِتھ روزُن۔
دڑڈگرٕنی۔کُنہِ کتھِ یا کارَس پیٹھ ڈٹھ روزُن ہِمَتھ نہٕ ہارٕنی۔

دژسہٕ۔ن۔مؤل: دژس] ۱۔دَرٕ۔لَمہٕ۔چار۔(یژٕ پأٹھؠ رزِ بیترٕ) ۲۔(وَرگہٕ پأٹھؠ) ئلِ گنہٕ منٛز دٕخٕل۔

دژسہٕ دیٖن۔۱۔لَمُن ۲۔(وَرگہٕ پأٹھؠ) بَجَن کامن منٛز دٕخٕل دیُن۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھؠ) پانٕس کھوتہٕ بُڈس ستیٖ مان گرٕنی۔تھدبن ستیٖ پان تھوٚن۔

دژسہٕ لٔگُن۔۱۔(وَرگہٕ) کامہِ ہُنٛد بار پیٚون۔۲۔کأنسہِ ہنٛز طرفدأری گرنہٕ لٔگُن۔

دژگ۔ن۔مؤل: دژگ <س: دژاگھمَن ]۔بالَس پٮ۪ٹھ سوجاے ییٚتھٕن لۆکھ کھسہٕ وُن وَسہٕ وُن تھکھ چھہٕ دِوان۔

دژگر۔<؟ ہِ: دُر+گرتہٕ]۔ژٔمیٖنہٕ پٮ۪چہٕ ہُنٛد کانٛہہ سنبر یتھ چکِش آسہٕ۔نٔمبلہِ چالہِ ژٔمیٖن۔ڈمب یتھ زَب بیترٕ کھسہٕ

دژمُن۔ن۔مؤل: دژمن <س: دؤرواجزٕنم/دھرمَنہٕ]۔اَکھ وُنٛز گاسہٕ قسِم۔

دژمُن ژُکھ۔دژمَن ماُدانَس لوٕنہٕ بیترٕ ستیٖ (دژمَن) ژکوسان کھٕنٛتھ تلنہٕ آمژ میٛو۔

دژمَن کانجہ۔دژ منچہٕ رأٹھ۔دژمَن موٚلَن ہنٛز لنٛجہ۔

دژمن زیوٚن۔۱۔دژمنَس تیٚج پھیرُن ۲۔کأنسہِ شخصس مُرِ ہتِس واریاہ وَق گومُت آسُن۔۳۔ژٔمیٖن بیوٚٹھ گوٚھن۔۴۔دُجأرِی تہٕ وأرٕئی گوٚھنی۔

دژمُن یٮ۪ن۔۱۔دژمنَس سوٚنتھ کالَس منٛز زوأژُن۔
۲۔میٛادَس اُبِہ ہتھ گوٚھنی۔اُسَس مُزراوُن۔

۳۔اُوُل سَول کھیٚنے کھیٚنے تنگ یُن۔۴۔(قبر): (ووہو) تِپلہِ وَبان ییٚلہِ کأنسہِ ہُنٛد جل مرُن کأنٛچھ زِ۔

دژمب۔گہہ اُڈرِتھ تِیٚج تھُر ہنٛز گول ژوٹ ہش۔

دژمبہٕ ٹھپنہٕ۔۱۔دژمبہٕ ہوکھناونہٕ باپتھ لَبَن لائنی۔
۲۔(وَرگہٕ پأٹھؠ) بِہتھ ببکار گژھُن۔اثرٕ رٕسوٚخ راوُن۔تنزٕل یُن۔

دژن، دژَن۔م۔مؤل: دژن] تِجرٕ تومِلہٕ ژوچہ۔ کھنٛڈ یا ژرٕٹ۔

دژ نگ ۱۔ن۔مؤل: دژ نگ <س: دژ نگہ]۔۱۔گنہٕ مُلکہٕ کِس بنٛس پٮ۪ٹھ سوجاے ییٚتہٕ پرٕتھ طرفس گن حبس تھونہٕ ییہٕ۔۲۔بنٛہٕ شوٚر روٚگژھنچہٕ جایہٕ گنٛذر۔کسٹم بیترٕ۔۳۔گاربن ہُنٛد بوٚڈامبار۔
۴۔کشیٖر انٛدٕر واریاہَن گامَن ہُنٛد ناو۔اَمہِ ناوٕ کِ گام چھہٕ اکثر بالہٕ دامنَس منٛز آباد۔

دژ نگہٕ بَل۔بنٛس پٮ۪ٹھ گنٛذر۔کسٹم چوٚکی۔سوجاے ییٚتہٕ پٮ۪ٹھ راہدأری ہُنٛد پروانہٕ دِنہٕ آسہٕ یوان۔

دژ نگہٕ پیٚنہٕ۔خوف اَژُن۔تھرٕ اَژٕنی۔ترٛاس کھیٚون (خاص کرِتھ بنٛس پٮ۪ٹھ دُشمن یوٚن وُچھتھ)۔

دژ نگہٕ روچھ۔سہٕ عوٚہدٕدارِیُس بنٛس پٮ۪ٹھ نظرٕ اوس روزان۔
۲۔گنٛذروان۔کسٹم وول۔راہدأری ہُنٛد پرچہٕ وُچھن وول۔

دژ نگ ۲۔ن۔مول: دژ نگ] پاں ژادر۔پاں چھوٚل

دڑاس۔۱۔اَکھ گاڑ ذاتھ۔۲۔لَداخ وَتہٕ زوجیلاہس
اَپورأ کھ علاقہٕ۔
دڑاس ہیٚنہِ میوٗلُم نہٕ، دڑاس کِننہِ پوٚکُم نہٕ۔تہٕ
دٕ پتھ گوپزتھ اَنٛدٕ ناوومیدی۔چیزَن ہنٛز نایأبی۔
دڑاگ۔ن۔موٗل: دڑاگ <س: دُر+ اَرگھ] کال۔قحط۔
وہرٕ ھے۔نایأبی۔نہ بوٚن۔
دڑاگہٕ دڑٕکھ۔کھبنہٕ دادِ ہوٚ چھمٕژ زنانہٕ۔
دڑاگہٕ دیو۔دڑاگک موکل۔۲۔سبٹھا دڑوگ کِنَن
وول۔۳۔یَس دڑوگ کِنہِ نٕک زن آسہِ ژامُت۔
یُس دڑاگ کانٛچھان آسہِ۔۴۔(ہزلہٕ) سُہ حأکم
بیترِ تیمی ہنٛزِ بَد اِنتظأمی کِنٛ دروجر گژھ۔نایأبی
گژھ۔
دڑاگہٕ زَد۔دڑاگن تَباہ حال کوٚرمُت۔دڑاگن
ژوپمُت۔
دڑاگہٕ لَد۔۱۔یُس دڑاگس منٛز ہینہٕ آسہِ آمُت۔
ہوٚ کھمُت۔گمزور۔یَس کرٛژرے یوت موٗژ یوٚمُت
آسہِ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) کوٚنٛڈ۔یُس سرٛ وگی چیز تہٕ
دڑوگہِ باوٕ کنان آسہِ۔
دڑاگہٕ ماگہٕ نیرُن۔(وَرگہٕ) بَلایوٚ تلہٕ موکلُن۔
دڑاگہٕ موکُل۔(وِچھو "دڑاگہٕ دیو")
دڑاگہٕ وٕری۔سُہ وٕری یتھ منٛز نہ بوٚن آسہِ گومُت۔
دڑاگ تُلُن۔۱۔وہرٕ ھے پأدٕ گرٕنی۔گہی کاس تُلُن۔
قَحط تُلُن۔بَد اِنتظأمی آسنہٕ کِنٛ کھبنہٕ چیزَن ہُنٛد
مول تُھز راوُن۔چیز کأمٕنی گرٕنی۔۲۔کانٛہہ چیز
یُژ پأٹھی کھبنہٕ کِنٛ تتھ تھَپہٕ تھَپہٕ لَگنٕی۔حَدٕ کھوتہٕ
ژور کھیٚون۔بےٚ وٕطیرٕ پأٹھی کھیٚون۔
دڑاگ ژلہِ تہٕ داغ ژلہِ نہٕ۔دڑاگ چھُ دوٗرٕ گژھان
مگر یِم ژھوکھ تمہِ ستیٚ لگان چھِ تِم چھِنہٕ سَہَل سَہَل
دوٗرٕ گژھان۔تہٕ دٕ پتھ گو کانٛہہ بَلاے دوٗرِ گژھتھ
تہِ چھُ تمیُک اَثر سبٹھَہَس کالَس روزان۔
دڑال۔ن۔موٗل: دڑال <ع: دلال]۔کِنَن وأ لِس تہٕ
ہینہٕ وأ لِس دَرمیان دأری گرٕن وول۔اَجنٛٹ۔
دڑالہٕز۔۱۔دڑالہٕ سُنٛد پیشہٕ۔۲۔سُہ کمیشَن یُس دڑال
کماوان یا منٛزٕ کڈان چھ۔سُہ رَقم یُس چیزَن
بیترِ کِنَن وول ہینٛک وأ لِس یا کِنَن وأ لِس
ہوان چھُ۔
دڑالہٕز گرٕنی۔۱۔دون دَربن منٛز سودا اُنٛزراوُنٕک کار
گرُن۔۲۔دون دَربن ہنٛدِس سودٕہَس منٛزٕ
کمیشَن کھیٚون۔
دڑالہٕ ہَر۔دڑالَن ہنٛز لَڑأ ے یوسہٕ تِم خریدار پھَساونہٕ
باپتھ بَلی گران چھِ۔اَپز لَڑأ ے۔سولَڑأ ے یوسہٕ
دویمین دوکھہ دِنہٕ خأطر گرنہٕ یِیہٕ۔
دڑأ لی۔کانٛہہ چیز بیترِ کِنٛنٕک یا لیلام گرٕنٕک ماوضہٕ۔
چیزَن خریدارأنٕک کمیشَن۔دلأ لی۔
دڑأ لی کھینٛ۔۱۔چیزَن کِنٛنٕک ماوضہٕ رٹُن۔کمیشَن وصوٗل
گرُن۔۲۔پھلوٚ ٹھ کڈٕنی۔منٛزٕ پونٛسہٕ کڈٕنی۔

دژاُلی ہینٛز ۔ا۔ کُنہِ چیزَس ہیتھ خریدار اَننک ماوضہٕ وصوٗل کرُن ۔۲۔ ژُھہ تلوٗنی ہینٛز۔

دژامُن ۔ن۔مؤل: دژامن <س: در مُنتھنہٕ ] گُپَن تیرَن ہیتھ ہُند میادٕ مَنٛز گاسہٕ ہیتھ واپَس کھاَرِتھ تتھ پیٛہٕ ژاُپھ دِنی تہٕ نبگلاوُن۔

دژامُن کرُن ۔ا۔ چاروایَن ہُند کانٛہہ چیز اکہٕ لٹہِ کھبتھ پیٛہٕ واپَس کھارُن تہٕ تتھ نوٗسرِ ژاُپھ دِنی ۔۲۔ کُنہِ گتھِ مَنٛس مَنٛز پھیُر تہٕ پھیُر دیُن۔

دژاوَن تَنٛ ۔ کُنہِ گتھِ پتٕھ دَریوٗمُت آسُن۔

دژاُلِ ۔م۔مؤل: دژالی <س: ؟ دارِیہ ]۔ موٗٹ رَزیوسہٕ پاُتٕرَن ناو کھارنٕس ہیتھ چھےٚ لگان۔

دژاُتی ناٹہٕ ۔ وِچھِو "دژوت" لفظس تل۔

دژاُلِد ۔م۔مؤل: دژاُلِد <س: دَرِدرٕ ]۔ا۔ واولِد : سبٹھا غریب ۔۲۔ اُستھ نہٕ آسنٕچ تِرٕ ہارَن وول۔
کوٗنٛڈ ۔ یَس نہٕ سَہَل پاُٹھی کانٛہہ چیز دیُن وانٛٹھِ آسہٕ پھیران۔

دژاُلی داُز ۔ مُفلِسی ۔ واد۔ واولِد آسُن ۔ کوٗنٛڈ آسُن۔

دژاُنج دژاُنج ۔ وِچھِو "دژوٗنج لفظس تل۔

دژشٹانتھ ۔ن۔مؤل: دژشٹانت <س: دژستانتہ ]۔ مِثال۔ تَمثیل۔

دژشٹانتھ ہاوُن ۔ نَیرِتھ ہاوُن ۔ ٹاکارٕ ہاوُن۔

دژنی ۱۔ <س: دھَرنی ]۔لِنہِ رَب یتھ پتٕھ رِکَن گوٗھنَک خطر چھُ آسان۔

دِژنی ۲۔ آبہٕ تگاُری ہیتھ مَنٛز یتھ کھارتاوِ کڈِتھ شیٖشترَس ژِھنی کران چھُ۔

دژکھا۱ ۔م۔مؤل: دژک ]۔ا۔ اَکھ خاص قسمُک کیٛوم یُس علاجہِ پُژھی کُنہِ اَنٛگس رَتھ کڈنہٕ باپتھ لاگان چھُ ۔۲۔ (وَرگہ پاُٹھی) یُس یایوسہٕ اَگادِ گژھہ۔

دژکن گژھُن ۔ (ووہو) ناجائِز پاُٹھی بَنوومُت پوٗنسہٕ ٹوٗنک بمارِ لگُن۔

دژکہ پیٛنہٕ ۔ (ووہو) لُکہٕ ہُند کھیٛومُت شہرَن تہٕ شَر ہُن گژھُن۔

دژکہ تژاونہٕ ، لاگنہٕ ۔ کُنہِ بمارِ ہُندِ علاجہِ پُژھی دژکن ہُندِ ذٕرِیہٕ رَتھ کڈناوُن۔

دژکہٕ گوٗر ۔ سُہ یُس بمارَن دژکہٕ لانٛج کاٛم آسہِ کران۔

دژکھا۲ ۔ م۔مؤل: دژک ]۔ کوٗنٛڈ ۔ دانٛس ۔ وُرِ ہیتھ رہہ تیز راونہٕ باپتھ زیٖرٕ زیٖر۔

دژکھ دژکھ دِنی ۔ زورٕ زارٕ کاٛم کران روزُن ۔ کارَس زیٖرٕ زیٖر کران روزُن ۔ پڈٕ رپڈٕ ردیُن۔

دژن ۔ اَکھ کیٛکہٕ لٕچہ قسم۔

دژنہٕ ۔م۔مؤل: دژِن ]۔ اَکھ راُٹھ دار نیٛکُٹ گاسہٕ قسم یُس کاُفی نَرم چھُ آسان مگر ژٕٹُن کیٛت چھُ سخ۔

دژنہٕ ہیوٗ ۔ سبٹھا دور ۔ یہٕ نہٕ پاکھ دی دی تہٕ سیٖنہٕ ۔ مِ: ہاکھ چھُ دژنہٕ ہیوٗ۔

دڑٕنۍ ۔م ۔مۆل: دَرٕنۍ <س: آردز+دھرنی ۔ڈمب ۔
نٔمبل ۔سوجاے یتھٕ پوٚن سمنہٕ کنز ژمپٕنس ڈمب
ڈمب گژھان آسہٕ۔

دڑنہٕ گژھن ۔(ورگہٕ) کانٛہہ ترٛٹھ کام گرٕنۍ یتھ
نہٕ پتہٕ زَنگہٕ موکلاوُنس پوشہٕ۔

دڑہٕ ۔م ۔مۆل: دڑہ ۔ <س: دڑشہٕ ]۔ا۔ ڈنٛچ گینز ۔
۲۔(ورگہٕ پاٹھی) بُتھ ژُکراوُن ۔بُتھ لَدِتھ
بہُن ۔

دڑہ کھسنۍ ۔ڈبکس گینہٕ گژھنہٕ ۔(ورگہٕ پاٹھی)
ناگوار گژھن ۔خوش نہٕ یُن ۔

دڑہٕ کھارٕنۍ ۔ڈبکہٕ ژُکراوُن ۔ژکھ کھسنۍ ۔شرارژسان
بہُن ۔بُتھ ژُکرأوِتھ بہُن ۔خوش نہٕ یُن ۔

دڑہِ لدنۍ ۔ا۔ڈبکہٕ چارُن ۔ڈبکس گینہٕ کھارنہٕ ۔
ڈبکس پھٹہٕ کھارنہٕ ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) ژکھہِ
سان بہُن ۔ژکھہِ ہوٚت بہُن ۔

دڑہٕ ہولٹ ۔اکہٕ قسمک اَبی کیوم ۔

دڑے ۔<س: ویدک: دھرِتہٕ ]۔قَسَم ۔م: جأنی دڑے
دڑیہٕ گرنہٕ ۔(کانٛہہ) سبٹھا ٹوٹھ آسُن ۔

دڑے قسم گرُن ۔کورِ مالِکی سُند گوبرِ مالِس کوٗر دِنٛک
یقرار گرُن ۔واکھ دیُن ۔وأنی دِنۍ ۔قول و یقرار گرُن ۔

دڑُیہٕ گاڈٕ ۔ژرِس رسس منز رنہٕ مژہ گاڈٕ ۔

دڑُس ا۔ن ۔مۆل: دڑُس ]۔اسٹیون کیوٗن ۔م: ہا کہٕ
دڑُس ۔۲۔پھٹُن (پأنس بیتر) م۔دبکس پیٹھ
دڑُس ۔

دڑُس ۲۔ن ۔مۆل: دڑُس <ف: دَرست ]۔ا۔ اَند بتھ
سوٗرے ۔سالم ۔۲۔ٹھیکھ صحی ۔

دڑُس آسُن ۔صحی آسُن ۔ٹھیکھ آسُن ۔

دڑُس گرُن ۔ا۔شیرُن ۔غلطیہٕ کڈنہٕ ۔۲۔ہیچھناوُن
۳۔(ہزلہٕ) (شُلکھ دِتھ) سیزراوُن ۔۴۔ ترتیب
دِنۍ ۔سمبألتھ تھاوُن ۔

دڑُے ۔ن ۔مۆل: دڑُے <س: دیوَرَ]۔ رنٛی سُند بوے ۔

دڑۆر ا۔ن ۔مۆل: دڑۆر <س: دڑتہٕ ]۔ا۔مُسلہٕ ژم ۔
بستہٕ ۔دالہٕ ۔۲۔ دالہٕ بیترٕ گژ کہٕ نأوتھ واٹھ دِنٛک
بنو ومُت مایہ

دڑرٕ پٹ ۔ا۔ملیہ لأگتھ سودَجہٕ یا کاکدترٕ یوسہٕ ناف
ڈلن وأنس یا کینہٕ پھٹن وأنس لاگان چھہٕ ۔

دڑرٕ نیال ۔مؤدٕ ہتس ترٛس بیترٕ سُند سہٕ بتھیک
سورٕ مُسلہٕ یُس پوہل خریدارس ہاونہٕ باپتھ تُس
والان چھُ ۔

دڑۆ تلُن / والُن ۔مُسلہٕ والُن ۔ژم ٹلنۍ (ورگہٕ) سخ
ناین فضیحتھ گرٕنۍ ۔

دڑۆر وسُن ۔مُسلہٕ وسُن ۔پھٔسرٕ وسنۍ ۔

دڑۆر ۲۔ا۔ لشہٕ کنگ ۔بۆ ڈنارٕ ڈریُس گاشہٕ باپتھ زالنہٕ
یِیہٕ ۔پھژ وو ۔تھژ رس زالنہٕ آمت ۔لشہٕ کنگ ۔

دڑۆل ۔<س: دڑتہٕ ]۔انسانن یا چاروان ہنٛز ژم یا
مُسلہٕ ۔

دژۆنٛٹھ ـن ـ مۆل: دژۆنٹ <س: دِڑھُشٹھ ]ـ ۱ـ سیٹھا کالُک ووومُت ـ ۲ـ تہٕ یہِ سیٛنٛتھ ہیکہٕ نہٕ ـ ۳ـ ہگہٕ ریوٗمُت ـ ۴ـ (وَرگہٕ پاٹھی) ـ واٗنسہِ آمُت ـ

دژۆنٛج ـن ـ مۆل: دژانج <س: درنگہ ]ـ سُہ یُس ژَرژُنس یا جوسۆی پیٹھ تھاونہٕ آسہِ آمُت ـ ڈۆمب ـ

دژاٗنج باپار ـ ڈۆمبل ـ

دژاٗنٛج دژاٗنٛج گرِنۍ ـ گرِگرِ ہنٛہٕ دژنہٕ گرِنۍ ترُنگ ترُنگ دیُن ـ

دژاٗنٛج گی ـ ڈۆمبل ـ جوسۆی ـ

دژوٹ ـ <س: دِرڑھ ]ـ مضبوٗط ـ سَخ یُس نہٕ ژلی ژلی پھُٹہٕ ـ سَہَل سَہَل نہٕ پھُٹہٕ ژن ـ مِ: مۆٹ دژوٹ ـ

دژوش ـ ۱ـ اوٗل سوٗل کھسنہٕ وول ـ (وَرگہٕ پاٹھی) ـ یُس کھسُن چنس مَنٛز مَرس تہٕ پچھَرس سَنان آسہِ نہٕ ـ ۲ـ سُہ شخص یُس سوچنہٕ ورأے قدم تلہِ ـ

دژوگ ـن ـ مۆل: دژوگ <س: دُر+ارگھ ]ـ ۱ـ تھدِ مولہٕ ـ ۲ـ مولُل ـ ۳ـ نایاب ـ

دژوگہٕ بازر ـ تمہِ بازرٕ ییتہٕ باوژور آسہِ ـ سیٹھا موٗلس ـ یَزنہٕ پیٛٹھی قیٖمتس ـ

دژوگہٕ ہنٛز دژوگہٕ لوٗر ـ یہِ چھِ تمہِ وِزِ وَنان ییلہِ شُر مُرتہٕ سےٚ ناکارٕ طرٕیقہٕ پانہٕ ناوِ یُس کٔرِ ہندی مالکی ماجہِ ورتوٗرمُت آسہِ ـ

دژوگراوُن ـ مول کھارُن ـ باوَس مَنٛز ہُربرٕ گرُن قیٖمتھ ہُراوُن ـ سرٛ وِکس چیزَس ژور مول چارُن ـ

دژونگ ـ آنچار نٹیک لیوٗب ـ

دژوو ـن ـ مۆل: دژو <س: دژد ]ـ کُنہٕ ترَل مادٕ سٕتۍ برٕنہٕ یُن ـ

دژوودیُن ـ برٛتھ طرفہٕ برِتھ تھاوُن ـ چھپرٕ والنہِ ـ

دژوو لگُن ـ بۆڈِ چھہٕ برٕنہٕ یُن ـ چھپرٕ وَسنہِ ـ

دژوت ـن ـ مۆل: دژات <س: داتُر ]ـ دانہِ بیترِ لونہٕ باپتھ ژندرٕ چالہِ اکھ وٗسلہٕ ـ

دژاتِ ٹوکھ دیُن ـ ہو گتھ یہِ گتھ گرِتھ پنٕہٕ نِسے مَطلبس واتُن ـ

دژاتِ دژاتِ دِنۍ ـ اَکےٚ گتھ پھِری پھِری وَنۍ ووہوٗنس نہٕ تھچھےٚ ٹلنۍ ـ ووج ووج دوان روزُن ـ

دژاٗتی پین ـ دژاتیک دَن ـ یَچھ تچھھ ییمہِ سٕتۍ دژاٗتس تچھھ چھِ گران ـ

دژاٗتی لائگنۍ ـ ۱ـ (ل ـ م) دژاتہٕ سٕتۍ داغ دِنۍ ـ ۲ـ (وَرگہٕ پاٹھی) سیٛزِ گتھِ پیٹھ اورا گادِ گژھُن ـ توٗہمَتھ کھارٕنۍ ـ اِنسانَن یہِ نہٕ کوٗرٕ مُتٕ آسہِ تچھی ہانٛژ لائگنۍ ـ مِ: سیٛخ لائگنۍ ـ ۳ـ سَخ نِہیہ گرُن ـ

دژاٗتی ناٹہٕ گرنہٕ ـ تہٕ گرُن یہِ دژلتہٕ سٕتۍ مازس گژھ ـ (وَرگہٕ پاٹھی) کانہہ کھسنہٕ یاوکھیوٗن لایق نہٕ تھوُن ـ کُنہٕ کلمہِ ہُندہٕ تھوُن ـ کھشنہٕ مُکری گرُن ـ

دژاٗژ ـ م ـ مۆل: دژاژ <س: داتِرِ ]لوگٹ دژوت ـ

دژوت اَژُن ـ ۱ـ فَصل لوٗنُن شورٕ گژھُن ـ ۲ـ (وَرگہٕ

پھیش لگُن ۔

دژوت پیٚون ۔ نیٚوٗلےٚ لونہٕ یُن ۔ خراب گژھن ۔

دژوت دیُن ۔ ۱ ۔ دژاتہِ ستیٚ لوٗن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ۔

مؤلہٕ موٗنجہِ گالُن ۔

دژوت لگُن ۔ دژاتہِ ستیٚ ٹُکنہٕ یُن ۔ (وَرگہٕ)

مؤلہٕ سان گلُن ۔

دژور ۔ ن ۔ مؤل ۔ دژار < س: دژار] کھَھس بیترِ سٕہ

وَژھر یاپاٹھ پوٗنی راوِ ۔ ووڈٕ ریاووبہٕ روچھ ۔

دژوب ۔ م ۔ مؤل: دژوب < س: دؤدوا ] ۔ اَکھ وُسنیٚ

سَبزی یتھ بادام چالہِ نِکیٚ نِکیٚ وُژھر چھِ آسان ۔

دژوبَس ژھُنُن ۔ رَبہٕ کھوڈَس بُرتھ دیُن ۔ مُصیبتَس منٛز

پھاٹاوُن ۔ یتھس حالتَس لَدٕ رتژاوُن بیٚیتہٕ نہٕ پتہٕ

پُرساےٚ دوٗتھبس ۔ م: کوٗردروبَس ژھُنُن ۔

دژوبہٕ گاڈٕ ۔ لیٚمبہِ گاڈٕ ۔ تمہٕ گاڈٕ یمہٕ ڈوگرن یا تلاوَن بیترِ

منٛز آسان چھےٚ ۔

دژوپھ ۔ وُچھو "دوپھ" ۲ ۔ کانٛہہ گوب چیز وُسنیٚ

پیچ آواز ۔

دژوجُر ۔ مولَس منٛز ہُربر ۔ ناپائی ۔

دژوجُر گژھُن ۔ قیٖمتَس منٛز ہُربر سپدُن ۔ مولَس کھسُن ۔

وبِنٛھ سےٚپاٗد گژھنی ۔

دژوکُن ۔ ن ۔ مؤل: دژوک < س: دژ] ۔ م: س ۔ دژتہٕ +

گمنہٕ ) ۔ ۱ ۔ دوٗرُن ۔ پھیرُن ۔ م: گنڈُن دژوکُن ۔

۲ ۔ کھبن وُتھی یُن ۔ ۳ ۔ بکُن ۔ بدکلامی

کرٕنی ۔ م: ہوٗن چھُ دژوکان ۔

دژوکہٕ دژوکہٕ یُن ۔ گنٛدان گنٛدان یُن ۔ ٹکان یُن

۔ یتھ پاٹھی پکُن یتھ زَن تھکُن باسہٕ نہٕ ۔

دژوکھ ۔ تےٚ ۔ دژوکہٕ دِنہٕ ۔ تےٚ کرٕنی ۔ (وَرگہٕ پاٹھی)

وولُن ۔ بتھ پھرُن ۔ بتھ کھیٚون ۔

دژوکھ پھیرٕنی ۔ مَن پھیرُن ۔

دژوکھ دِنی ۔ گتھ نہٕ شرٛپنیٚ ۔ (وَرگہٕ) واپس کھینہِ

ووتھُن

دروکھ تنی ۔ کھیٚومُت چومُت وُتھتھ یَن ۔ تےٚ یُن ۔

دژوگُن ۔ مول ہُرُن ۔ بالواسِطہ کھوتہٕ تھدُن ۔ قیٖمتَس

منٛز تیزی گژھنی ۔

دژود ۔ ن ۔ مؤل: دژوو < س: دھروَ ] ۱ ۔ سہٕ تارُکھ یتھ

وُچھتھ شمال بَدِ چھُ کڈنہٕ یوان ۔ ۲ ۔ اَ کِس

ریٚش سُندناو ۔

دژوہمہٕ ۔ [دژہامہِ ] ۔ اَکھ وُسنیٚ گاسہِ یُس ہیٚلہِ نیرنہٕ

برٛونٛہہ ژہریلہٕ چھُ آسان ۔ اَتھ چھُ لاجوٗری

رَنگہٕ ہیٚول نیران ۔

دژیٚشٹی ۔ م ۔ مؤل: دژیٚشٹی < س: دِرٛشٹِ ] ۔ ۱ ۔ نظر ۔

۲ ۔ اَگاہی ۔

دژیٚشٹی کرٕنی ۔ ۱ ۔ (کانٛسہِ کُن) نظر کرٕنی ۔ مہر کرٕنی ۔

۲ ۔ (بٕرٕ نظر کرِتھ ) مُصیبتھ کاسُن ۔

دژیٚنٹھ ۔ ن ۔ مؤل: دژیٚنٹ < س: دِرٛشٹِ ] ۔ ۱ ۔ نظرِ

آسُن ۔ ۲ ۔ نظر ۔

دڑیٹھمان۔ بڑۆنہہ گنہٕ۔ نظرٕ تل۔ اَچھَن تل۔ نۆن تہٕ ٹاکارٕ۔

دڑیٹھ یِوُن۔ ا۔ بوزنہٕ یِوُن۔ لبنہٕ یِوُن۔
۲۔ اَچھ تَلی یِنَس لایِق۔ ٹارِ گَھسنَس لایِق۔

دڑیٹھ یُن۔ نظرِ گژھُن۔

دڑیٹھے۔ م۔ مۆل: دڑیٹھے]۔ وأترِ ڈۆرِ منٛز کڈِتھ دۆر دۆر نہالی وأتراوِنی تھَل پأنژرِنی۔

دڑیٹھاک۔ <س: دھرِشٹکہ]۔ خوفناک دیو۔ ویکھُرٕ بلاے۔

دڑیٹھُن ا۔ <س: دھرِشٹہٕ] ا۔ دۆر گژھُن۔ سَخ گژھُن۔
۲۔ وأنسہِ یُن۔ بڈُن۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) گَتھِ نہٕ واتُن۔ موٹان۔ فکرِ نہٕ ترُن۔ ڈلُن۔

دڑیٹھُن ۲۔ پأنژرُن۔ تُیٚ راوُن۔ گٔنٛز منٛز کڈِتھ تۆن تۆن رُوُن۔

دڑیٹھر۔ ن۔ مۆل: دڑیٹھر <دُچھو "دڑوُتھ"]۔ ہوچھر۔ ترٛوشر (کُلیٚگ بیترِ) بُجُر۔

دڑیٹھر گو پچھر۔ داریاہ۔ وأنسہِ آسنک مطلبہٕ گونا گہار آسُن۔ یُس کُل بیترِ بڈیومت آسہِ تہٕ تتھ چھُنہٕ فصل نیران۔ زِ پتھ وأنس پزاوُنک مطلب گو دۆیمین پیٹھ بور بنُن۔

دڑینکہٕ تۆر۔ اکہِ قسمُک بۆٹی یوٚسہِ سَرِ بٹھن چھےٚ کھسان۔ اَمیُک رَس چھُ اَچھہِ دأرِس دَوا۔

دڑٹ۔ [دھرٹ]۔ ن۔ مۆل: دڑٹ <پنجابی۔ دھڑٹ۔

س: دھرٕ] گٔدر۔

دَز۔ <س: دَگدھ] (ہیٚژِ پأٹھی گنٛڈنَس منٛز) ناجرا۔ ناس۔ تھٔنے۔ ہیچھ۔

دَزِ بُز۔ ژھوکھ۔ رِبِر۔ یِٹھ۔

دَزِ بُز آسُن۔ ژھوکھ آسُن۔ رِکِبر آسُن۔

دَزِ بُز ہیوُن۔ اَزرُوِن یُن۔ حسد پأدٕ گژھُن۔

دَزُن۔ ن۔ مۆل: دَز <پراکرت: دَجھ <س: دَہہ]۔ ا۔ (نار) ہیوُن۔ ۲۔ نارٕ ستی ژٕنی گژھنی۔ ۳۔ سبزار بیترِ ہوکھیہِ یا سَگ نہٕ واتنہٕ کِنی زَزرُن یا ہُرِتھ پیوُن۔ ۴۔ سبزِ یَن ہنزٕ اکھ بِمأرِی یِمہٕ ستی سبزی ہُرِتھ چھےٚ پیوان۔ ۵۔ ژکھ کھسنی شرارتھ کھسُن۔ ناراض گژھُن۔ ۶۔ اَزرُوُن یُن۔

دَزَن داد۔ حسد کِنی۔ شرارتہٕ سَبَبہٕ۔

دَزَن داغ۔ سُہ آکھیُس دَزنہٕ پتہٕ (ژمہِ یا کپُرس) روزان چھُ۔

دَزَن دود۔ حسدٕ چ دَگ۔ ورگہٕ شرارتھ ژکھ۔

دَزَن دیو آسُن۔ یہِ چھِ تَس اِنسانَس وَنان یُس پَکو دزان تہٕ دَزان آسُن یا یُس نہٕ کانٛہہ تِیٚتی تگہِ۔

دَزَن لد، دُزنہٕ لد۔ سُہ (نمبلہِ زمین) یَتھ منٛز گنٛڈک ژور آسنہٕ سَبَبہٕ داں فصلس تاپھ دِنہٕ بزونہہ ہایہِ ژِتھ چھےٚ پوان۔

دَزِوازَس تہٕ وُژِوازَس۔ یہِ چھِ تَس وَنان یُس نہٕ ذِمہٕ دأری ہیٚیہِ۔

دٕزِ دٕزِ ۔ا۔ دٕزن۔ بٕزنہٕ ییٚن ۔۲۔ ژھوکھ۔ کِبر۔ تکبٕر۔

دٕزِ دٕزِ آسُن ۔ژھوکھ آسُن ۔سر سر آسُن ۔

دٕزِ دٕزِ ہیوٚن ۔ (اَزروٗنہٕ کِنۍ) نار گنڈُن ۔

دٕزِ واو ۔سخ حسد۔ سخ اَزروٗن۔

دٕزنہٕ دٕزِس تہٕ یہِ گراہتہٕ ۔تہٕ دٕ پتھ گوییلہٕ ہُری پیٹھٕ
گوتیلہٕ چھُ برابر ے ۔م:یَتھ زٕچہٕ یہِ پھیۆرتہٕ

دٕزتھ پیوٚن ۔ (سگہٕ دادِ) زٕزرُن ۔ہوٚکھتھ پیوٚن۔

دود مُت ۔ا۔ یَتھ نار آسہٕ لوٚگمُت ۔۲۔ ہوٚکھیہِ کِنۍ
زٕزرِ یوٚمُت (سبزار ہیترِ)۔۳۔ مُصیبتَن منٛز گیر
گٔژھتھ لاپٔرواگومُت ۔

دَس،دَست ۔ن۔ مۆل: دَس > ف: دست] ا۔ اَتھ۔
۲۔ پائیٚس گُنجائیس ۔گٔژھ یَتھ۔م: تَس اوس نہٕ
کھانٛدرگرنک دَس۔

دَس بَستہٕ ۔ا۔ گلہٕ گنڈِتھ ۔۲۔ اَدبہٕ سان۔
۳۔ اَرژٕ سان

دَس بوٗسی ۔اَتھس ستۍ اَتھ مِلناوُن۔شیک ہینڈ۔ اَتھ
واس گرُن۔

دَس بوسہٕ ۔ گُلہٕ میۆٹھ۔ نذرانہٕ۔ ہیوٚن دیُن۔

دَستہٕ راس۔ؤچھن اَتھ ۔۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ)۔سُہ
یَس پیٹھ دارِ مدار آسہٕ۔

دَستہٕ شفا۔ (ل۔م)۔شفادِنہٕ وول اَتھ۔ بگراوٚنک
شرف۔

دَس تُلُن ۔ا۔ سَنٛز گرُن۔ (کام) شوٗروٗ گرٕنۍ ۔۲۔ (روٗزِتھ
کاٛمہِ کام) اَتھس منٛز ییٚنۍ۔

دَس دراَزی۔دخل۔ اَتھِ پھِرُن۔

دَس دراَزی گرٕنۍ ۔ا۔ اَتھِ تُلُن۔چوبن وَتھُن۔
۲۔ بگرِ دخل دیُن۔بگرِ زَنگ ژھننۍ۔

دَس دیُن ۔کینژہ اَنٛد واتناوُنس منٛز اَتھِ روٹ گرُن۔
مدد گرُن۔

دَس گرُن ۔ہمتھ گرٕنۍ ۔ جُرتھ گرُن۔

دَسگیر، دَستگیر ۔ا۔ اَتھِ روٹ گرُن وول۔۲۔ یہِ چھُ
سیٚد عبدالقادر جیلانیؒ صابُن اَکھ لقب تہٕ۔

دَس وَتھُن ۔سنٛز سپدُن۔ دوش ژٕلُن۔

دٕستی ۔ا۔ اَتھِ پیٹھٕ ۔۲۔ ڈلۍ ڈلۍ۔

دَسمبر ۔ن۔ مۆل: دَسمبر > انگ December]۔ انگریزی
حِسابہٕ ؤری یُک بٔہیم رَتھ۔

دَسُن ۔ن۔ مۆل: دَس >: دٕلنہٕ ]۔دگُن دوگ دِنۍ۔

دٕستھ ترٛاوُن ۔ دٕگتھ ترٛاوُن۔

دٕسۍ دٕسۍ ۔ٹوکہٕ دِتھ۔ دوکرِ ستن دٕگتھ۔

دٕسۍ دٕسۍ سون ۔ٹوکہٕ سون۔ (ورگہٕ پاٹھۍ)۔آزمائیشو
منٛز دٕزامُت۔ نارِ پانہٕ دٕزامُت۔

دَسوور ۔ن۔ مۆل: دَسودر > س: دیش ۔اَپرہ]۔ا۔ (پننہِ)
مُلکہٕ نٮبر۔۲۔ منٛڈی ہوٚ ڈباذر۔

دَسبر دار۔ (کُنہِ کامہِ ہیترِ نِشہِ) اَلگ علاحِدٕ۔

دَسبر دار گٔژھن ۔کُنہِ کامہِ ہیترِ نِشہِ علاحِدٕ۔ گٔژھُن۔
پوٚت ہیوٚن۔

دسبر دأری۔کام ترٛاوٕنۍ۔اِستفا۔کینہہ اَتھہ منٛز ترٛاون

دسبر دأری دِنۍ۔اِستفا دیُن۔نوکری بیترِ نِشہِ اَلگ سپدُن۔

دس پاکھ۔ حف:دست پاک ]۔[سبہٕ منٛز ]۔اَتھہٕ پٕتھراوُن ( کھبنہٕ برٛونٛہہ یا کھبنہٕ پتہٕ )۔

دس پاکھ دیُن۔کھبنہٕ چنہٕ برٛونٹھ کھبنہٕ وأل اَتھہٕ پٕتھراوناوٕنۍ۔

دستر خان،دستارخان۔ن۔مؤل:دستارخان حف :دستر+خوان]۔سوکپر ژادر بیترِ یتھ پٮ۪ٹھ کھبنہٕ وِزِ کھبنہٕ بانہٕ تھَونہٕ چھِ یِوان۔

دستر خانچ اُڈِج۔تہٕ دۄپتھ گونچھِ میوٚنڈا اژُن۔

دستار۔ن۔مؤل:دستار حف:دستار]س۔ململ یا کپرٕس یُس (مرد) گلس گنڈان چھِ۔پگر۔پگ۔صافہٕ۔

دستارس دَب لگُن۔بیزتی گژھنۍ خجل خأری گژھنۍ۔مَنٛد چھاونہٕ یُن۔

دستارس رَب لدٕنۍ۔بدنام تہٕ برٛگار گرُن۔کأنسہِ بُتھ دیُن لایق نہٕ تھوُن۔

دستار بدلی گرٕنۍ۔(ورگہٕ)سُہ باپتھ پرٛمردس نِش شونگُن۔

دستار بٔندی گرٕنۍ۔ا۔یزتھ ہاونہٕ باپتھ کأنسہِ نوٚو دستار گنڈنک رٕسم پوٗر گرُن۔۲۔کانٛہہ مَرنہٕ پتہٕ تِسٕندِس وأرِثس ماتم ختم گرِھتھ وأرِث ماننہٕ پننک رٕسم پوٗر گرُن۔

دستار پوٗیس۔صافُک برٛونٹھیم یا پتھیم اَند۔

دستار پھشکر۔لوٗکٹ دستار۔

دستار پھشیٹُن۔دستار پھشکر۔سیٹھا لوٗکٹ دستار۔

دستار زنگ۔سُہ شوگون یُس مہرازس دستار گنڈُن وألس بٕتہٕ دِوان چھِ۔

دستار گنڈُن۔(ورگہٕ)۔یزتھ بخشُن۔قدر گرٕنۍ۔زِچھر بخشُن۔زیٹھ بناوُن ۲۔زیٹھ مَرنہٕ پتہٕ کأنسہِ تِسنٛز جاے دِنۍ۔

دستار لاٹہٕ لاٹہٕ والُن۔سخ بےیزتی گرٕنۍ۔

دستار لاٹھ۔دستارک تیوٗتاز یوٗت حصہٕ یوٗت اکہٕ پھرٕس گلس ولنہٕ ییہِ۔

دستار والُن۔بےیزتی گرٕنۍ۔وُقر وألنۍ۔

دستار والنۍ یوت باقۍ تھوُن۔(ورگہٕ) سیٹھا اُڈزا اُڈ گرٕنۍ۔کأنسہِ ترٛژھ بےیزتی گرٕنۍ یتھ نہٕ باقۍ کینٛہہ تھوٚو زبس۔

دستانہٕ۔ن۔مؤل:دستان حف: دستانہ]۔اَتھہٕ پنٛجہٕ۔

دستاویز۔ا۔لِکھہٕ ووتُر۔یقرارنامہٕ بیترِ یُس گنہٕ چیزُک سَنٛد آسہِ۔۲۔کانٛہہ پرٛأنۍ لیکھتھ کتاب یا نوسخہٕ۔

دستہٕ۔ن۔مؤل=دست حف:دست ]مأدان یتھ یتہٕ کأنی آب آسہِ۔توٗن مأدان۔چھور۔

دستہٕ بُڈ۔دستہٕ ژیٛنچ بمأری۔کالرا۔مزہر۔

دستہٕ پکنٕی۔توٗن مأدان پکُن ۲۔(ورگہٕ پأٹھی)۔ جگرنہٕ درُن۔کھوژُن۔وبسرُن۔

دَستہٕ چھکٕنۍ ۔ہاَتہٕ یا خوفہٕ سٟتۍ مادان وبسرُن ۔خوفہٕ سٟتۍ چھور لگُن ۔لبڑُن ۔

دَستہٕ ڈور ۔گُنٛے زیوٗٹھ ٹور ۔سبٹھا چھور ۔

دَستہٕ روز ۔دَستہٕ پٔکنٛج بِمارۍ (چاروأیس) آتَم روز ۔

دَستہٕ ژٔنٛنۍ ۔ژہیر پکُن ۔اَپاژُک لگُن ۔

دَستہٕ کسٕکی یانہٕ ۔توٗن مأدان پکنٕس سٟتۍ دژو کہ تہٕ پنہٕ ۔کالرا ۔مزہَر ۔ووبا ۔

دَستہٕ کسٕکی یانہٕ گژھٕنۍ ۔ا۔کالرٕ ہک حَملہٕ سپدُن ۔کالرا گژھُن ۔۲۔ووہَو پژھ کرتہٕ وَننہٕ یوان ۔

دَستہٕ گژھٕنۍ ۔توٗن مأدادن پکُن ۔

دَستہٕ لَد ۔سُہ شخص یُس اُکس جایہٕ قرار آسہٕ نہٕ ۔یُس ووتھان تہٕ ووتھان آسہٕ ۔

دَستہٕ لگنۍ ۔(وَرگہٕ) وبسرُن ۔

دَستہٕ نور ۔ژٔرۍ دَستہٕ پکنہٕ کٕنۍ مَنڈلس ہُنر کھسُن ۔ژکہٕ ہنزا کھ بِمأرۍ یوسہٕ ژٔرۍ دَستہٕ پکنہٕ کٕنۍ سپدان چھےٚ تہٕ یٚیمہٕ سٟتۍ اَتھ پھٔہُن چھُ ووتھان ۔

دَستہٕ وبسرٕنۍ ۔ا۔(خوفہٕ سٟتۍ) چھور پکُن ۔۲۔سَخ کھوژُن ۔ہِمَتھ ہارٕنۍ ۔لبڑُن ۔

دَستہٕ۲ ۔ن ۔مؤل: دست <ف: دَستہٕ ]ا۔تھپھ ۔دَن ۔ ۲۔پوشہٕ گوٚنڈ ۔گیوٗڈ ۔۳۔کاکذکۍ ژووُہہ تاہ ۔ ۴۔پأڈۍ گُچھ ۔

دَستہٕ گَرٕنۍ ۔پوشہٕ گَنڈۍ بناوٕنۍ ۔م: گژھتہٕ ونیٚسی بے اٚتھی اَستہٕ لولو ہی گرسأے پوشن دَستہٕ لولو ۔ (لَلہٕ بأتھ)

دَستہٕ۳ ۔ن ۔مؤل: دست <ف: دَستہ ](فوجِ) کھیٚنج جَماتھ ۔

دَستہٕ۴ ۔سُہ سامانہٕ یٚیمہٕ سٟتۍ ہٟتۍ کٔرِس پھمب دوٚنَن وِزِ دَب دَب دِوان چھِ ۔دوٗنۍ دَستہٕ ۔

دَستکھ ۔مؤل: دستکی ۔ <ف: دستکی ]۔بڈ گرٚنڈ یوسہٕ موٕ یا پوش بیترِ تھاونٕس لگان چھےٚ ۔موٕ ژھر ۔

دَسترَس ۔ن ۔مؤل: دسترس <ف: دست رَس ]۔ ا۔واتنیار ۔پلُن پاے ۔۲۔عزبوٗر ۔

دَستکار ۔<ف: دستکار ]۔ا۔سُہ کأرۍ گر یُس اَتھہِ سٟتۍ کأم کَران آسہِ ۔گِیب دَر ۔۲۔یُس کأنٛہہ گِیب تگان آسہِ ۔

دَستکأرۍ ۔اَتھہِ کأم ۔گِیب ۔

دَسخط ۔ن ۔مؤل: دستخط <ف: دَست+ع: خط ]۔ ا۔لیکھُن تژاے ۔لیکھنک طٔریقہٕ ۔۲۔کاکدس بیترِ پٔٹھ پٔنُن ناو پَننہٕ آیہِ لیکھُن ۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) ژوٗرٕ سُندسَن وِنک خاص طٔریقہٕ یٚیمہٕ سٟتۍ سُہ پرٕزناونہٕ ییہِ یا بِدکِٹنہٕ ییہِ ۔م: اَتھ نقبس گژھ آسُن فلأنۍ ژوٗرٕ سُند دسخط ۔

دَسخطس تژاوُن ۔کأنٛہہ حُکم بیترِ اَفسرَس بژوٚنٹھ کُن منظوٗرۍ باپتھ تژاوُن

دَسخط کرُن ۔ا۔کُنہِ لیکھی مِتِس کاکدس بوٚنہٕ کُنہِ

یارَ جسٹری ہیتر پیٹھ پَٹن نا وینَہِ آیہِ لیکھن۔۲۔(وَرگہٕ پاٹھی) منظوٗر کرُن۔ماٗنن۔اِجازتھ دیُن۔

دسخط ہیۆن۔۱۔منظوٗر کرناوُن۔تَصدیق ہیۆن۔

۲۔نۆمۆنہٕ باپتھ کُنہٕ کاکدس پیٹھ دسخط کرناوُن۔

۳۔(وَرگہٕ پاٹھی) یقرار ہیۆن۔

دَسگاہ۔ن۔مۆل:دَسگاہ <ف:دستگاہ]۔یَختیار،حَق، طاقتھ۔قابلیت۔پلَن پاے۔

دَسگیر۔وِچھو"دس"،لفظس تَل۔

دَسوانہٕ۔اَکھ زیوٗر۔(ہٹ نیک)۔

دَسیاب۔ <ف:دست+یاب]اَتھس منز۔موہیا۔بَدَس۔ وأفِر۔سولبہٕ سولبہٕ۔

دَشام۔مۆل:دشا<س:دشا]۔(جوتش عِلمہٕ مۆجوٗب) گرٛہدُک اَثر۔گرٛہدن ہُند کُنہٕ گرٛس یا بُرجس منز آسُن۔

دَشہِ بُز۔ن۔مۆل:دَشہِ بُز<س:دَشتہ+بھُجہ]۔واہ نرِ کرِتی۔بگوان شنکر سُند اَکھ ناو۔

دَشہِ راوُن۔ن۔مۆل:دَش راوُن<س:دَشہ راونہ]۔ راونہٕ سُند اَکھ ناو۔

دَشہِ ہار۔ن۔مۆل:دَش ہار<س:دَشہ ہارَ]۔۱۔بٹَن ہُند اَکھ بۆڈ دوہ یُس دہہِ دۆہری یوان چھُ تہٕ شادی پورِ بیتر مناونہٕ یوان چھُ۔۲۔ہِنٛدن ہُند اَکھ بۆڈ دوہ ہہ۔دَپان اَمہِ دوہ چھُ رامہٕ ژٛندرَن راوَنس شِکس دیُتمُت۔

دَشوار۔ <ف:دُشوار]۔مُشکِل۔سَخ۔کٔڈر۔

دَغل دوٗس۔ن۔مۆل:دَغل دوٗس<ع:دَغل+ف: دوست]۔سُہ دوٗس یُس دوکھہٕ کرِ۔سُہ شخص یُس یارَن پھاس تراونہٕ باپتھ اورٕ یور مُنافقتھ کرِ۔

دَغل دوٗزی/دوٗستی۔یارَن منز پھاس تراونُک کام۔

دَغا۔ن/م۔دَغا <ف:دَغا ]۔۱۔دوکھہٕ۔فریب۔۲۔بے وَفٲیی۔سورنہٕ نیرُن۔تمہٕ اُچھ نہٕ روزنہٕ سیہِ یا یِمہٕ باپتھ کو کچھمُت آسہِ تہٕ نہٕ بَرابَر یُن یا کرُن۔

دَغاباز۔۱۔یُس دوکھہٕ دِیہِ۔دوکھہٕ باز۔فریب دِنہٕ وول۔ژھل وَرتاوَن وول۔خیانتھ کرن وول۔

۲۔بےٚ وَفا۔یُس نہٕ سور نیر۔

دَغا دیُن۔دوکھہٕ کرُن۔فریب وَرتاوُن۔۲۔بےٚ وَفٲیی کرِنی۔سورنہٕ نیرُن۔

دَغا کرُن۔۱۔دوکھہٕ دیُن۔فریب دیُن۔۲۔وَفانہٕ کرُن۔ سورنہٕ نیرُن۔وَقتہٕ وِزِ بوٗت ہیۆن یا ژلُن۔

دَغٲیی۔۱۔دَغا۔دوکھہٕ۔فریب۔ژھل۔۲۔(وَرگہٕ پاٹھی) دِلَس کھوچر۔

دَف۔ن۔مۆل:دَف <ف:دَف ]۔اَکھ ساز۔پرٛنی چالہِ تُمبکھ نارِ ہندی پاٹھی بَستہٕ لاگتھ اَکھ روٗنہٕ دار ساز۔

دَفع ،دَفع ذلتھ۔[حقارژ سان] کانٛسہِ کٔڈتھ ژھننہٕ وِزِ وَنان۔

دَفع کرُن۔کٔڈتھ ژھنُن۔ژلراوُن۔

دَفع گڑھُن ۔[حقارُت کنی وَننہٕ یِوان]۔ تھچھ ٹٔنۍ۔ اُچھو نِشہٕ دۄر گڑھُن۔

دَفن ۔ن۔ مۄل: دَفن <ع: دَفن]ژ ڈرِتھ۔

دَفن کَرُن ۔ا۔ ژ ڈراوُن۔ قبرِ مَنٛز وٲلِتھ پٮ۪ٹھ میٚژ ترٛاوٕنۍ ۔۲۔ (وَرگہِ پٲٹھۍ)۔ گال کھاتس ترٛاوُن (کانٛہہ مامله بیترِ)

دَفناوُن ۔ا۔ تَل ژٕھنُن ۔ ژ ڈراوُن۔ قبرِ مَنٛز وٲلِتھ پٮ۪ٹھ میٚژ ترٛاوٕنۍ ۔۲۔ کانٛہہ ثیاے یا تناز بیترِ مُشر اُوتِھ پانہٕ وٲنۍ برابری کَرٕنۍ ۔ مُٹھ کری ترٛاوٕنۍ۔

دَکہِ ۔<س: دَھک]۔ا۔ بڑ وٕنٛہہ کُن زیٚر ۔ کل ۔ ٹھک۔ ۲۔ ہٮ۪تھ ۔۳۔ ٹکر ۔۴۔ بڑ وٕنٛہہ کُن پکناوُن۔ کھورِچ بیترِ زیرٕ اُنِتھ ناو بیترِ کڈٕنۍ ۔۵۔ پٔتۍ گڑھن ۔ پَتھ گڑھن۔ مِ نیہٕ لوگ تحریکس بۆڈ دَکہِ۔ ۶۔ نوقصان۔ خسارٕ بیترِ۔ م: کارٕ بارس مَنٛز دَکہِ واتُن ۔۷۔ (وَرگہِ پٲٹھۍ) مُصیبتھ۔ آفتھ بیترِ۔ مِ: نیچوی ہنٛد مَرنہٕ ووت تَس بۆڈ دَکہِ۔

دَکن تہٕ ڈُکن لَگُن ۔ا۔ پَرِ خاطِرس لَگُن ۔۲۔ دوییمِن ہُنٛد آویزٕ گڑھن ۔۳۔ ناوٕنس لَگُن۔ مُصیبتَس مَنٛز ہیٚنہٕ یُن ۔ بےٚ دَرد ہُنٛد سۆلوٗک سپدُن۔

ڈکاوُن ۔ا۔ دَکہِ دی دی پکناوُن۔ کُنہِ کُنی بڑ وٕنٛہہ کُن کڈُن ۔۲۔ دَق گساوُن۔ ہِتھِ ہِتھِ دوہ دوہ کڈُن۔ ۳۔ کٲم پوٚرٕ کرنس کُن قدَم قدَم دیُن ۔۴۔ چکاوُن لفظُک پوٚت صداہ۔ مِ: چکاوُن دکاوُن۔

دَکہِ دَکھ۔ ژبلہٕ ژبل۔ لٔکہِ گنٛبر۔ ترٛپہٕ ترٛپھ۔ لٔکہِ گنٛبر ییتھ مَنٛزٕ نہٕ سیٚوٚد پکنہٕ پییہِ۔

دَکہِ دیُن ۔ا۔ زورلٲگِتھ بڑ وٕنٛہہ کُن کڈُن ۔ اورٕ یور ڈالنہٕ موکھہِ چار یا زور اَنُن ۔۲۔ زورٕ سان زیٚر دِنۍ (دٲرِتھ دِنہٕ باپتھ)۔ ٹکرٲنُن ۔ زیٚر دِتھ پتھر ترٛاوُن (پھیکہِ بیترِ ستی)۔۳۔ ترٛاوُن۔ مالےٚ نہٕ برٕنۍ ۔۴۔ ہِتھ ہِتھ تار دیُن ۔ کُنہِ پٲٹھۍ انٛد واتناوُن (کانٛہہ مُشکل کٲم کار بیترِ) ہِتھِ ہِتھِ موکلاوُن ۔۵۔ دَفع کَرُن۔ اَکس طرفس کُن ترٛاوِتھ ژٕھنُن ۔ ۶۔ بڑ وٕنٛہہ کُن بڈاوُن (ناو بیترِ)۔۷۔ سرٛ وگہِ درو گہِ کڈُن ۔ پھرکاوُن۔

دَکہِ ڈُلہِ دِنۍ ۔ ہیٚنہٕ دِژنہٕ کَرٕنۍ (اِنسانس) دردٕرٕ کَرُن۔ بےٚ قدری کَرٕنۍ۔

دَکہِ ڈُلہِ کھیٚنۍ ۔ا۔ بےٚ قدری گژھنۍ ۔۲۔ بال بچھ نہٕ آسُن ۔ ہورِتہٕ یور چھاونہٕ یُن ۔ وارُل نہٕ آسُن۔ ناپُرسانس لَگُن ۔۳۔ پَرِ خاطِرس پٮ۪ٹھ پیٚون۔

دَکہِ زَد ۔ا۔ یُس پٔنٕنۍ رٲوِتھ بیٚیِن ہنٛدِ بن اَتھَن تَل لوٗگمُت آسہِ ۔ یَس نہٕ کانٛہہ پٔتُن لاگہِ ۔۲۔ یَس واریاہ بَناوِتھ آسن آیتی ۔۳۔ مُصیبتَس مَنٛز ہیٚنہٕ آمت۔

دَکہِ کَرُن ۔ا۔ دَفع کَرُن ۔۲۔ کڈِتھ ژٕھنُن۔ نوکری بیترِ مَنٛز کڈُن ۔ جواب کَرُن۔

دَکہِ کھیٚون ۔ (وَرگہِ) ٹاس پیٚون ۔ دوکھ پیٚون۔ مُصیبتھ تُلُن ۔ صدمہٕ بَرداش کَرُن ۔۲۔ (وَرگہِ

پأٹھۍ) کانٛہہ کأم اَنٛد واتناوُنس مُتلِق) نااومید گژھن۔

دَکہٕ گژھن۔ا۔جواب سَپدَنہٕ کِنۍ یا وولہٕ دولہٕ نہٕ آسنہٕ کِنۍ نا اومید گژھن۔۲۔ہتھٕ رَتھٕ ترٕتھ گژھن۔ کامیاب گژھن۔۳۔پھٔر کادنہٕ یُن۔چلُن۔

دَکہٕ لگُن۔ا۔زٕہر لگُنۍ (کانٛسہِ ہِنٛدِ یا کُنہِ ستۍ) ۲۔گاٹہٕ کھیٚون۔ پتھ گژھن۔۳۔(کانٛسہِ ہٕنٛز) پٔژھ یا اومید نہٕ روزٕنۍ۔توقواہَس خِلاف گوٚھن۔دِلس ترٕتھے ہیوٚ گژھن۔

دَکھِ پرٛزاپَتھ۔ن۔مۆل: دَکھِ پرٛزاپَت <س: دَکشہٕ پرٛجاپَتہٕ]۔أکِس پرٛزاپَتہٕ سُنٛد ناو تیمِس نِش دِوتا زاے۔

دَکھِنا۔م۔مۆل: دَکھِنا <س: دَکشِہ نا]۔دٔچھِنۍ۔تِم دیٛار ییم برٛہمنَس پۆزا لیہِ موکھٕ دِنہٕ ین۔

دَگ۔م۔مۆل: دَگ <س: دَگدَھ]۔ا۔دوٚد آسنہٕ کِنۍ لگُن۔ ترٛ وۆتھُن۔پھُہُن بیترِ۔دوٚد باسُن۔دوٚد تیلہٕ تَنٛگ احساس۔موٚس دَب لگنہٕ کِنۍ داغ۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) ژُک۔ماے۔سَخ محبت (کانٛسہِ ہُنٛد) وَسہِ آسُن۔۴۔کانٛسہِ ٹأٹھِس بیترِ سُنٛد مرٕگ۔ ماتم۔ مِ ٹٲٹھۍ دَگ۔۵۔سوٚ جاے یێمہِ سێو دتھٕ رٕ پیٹھ کانٛہہ چیز یا پان دار بیترِ پییہِ۔دِگنۍ۔۶۔(زأرۍ نَبأژ مَنز) آے۔۷۔ووٚرۍ سُنٛد ووٚنن وِزِ لگنہِ ستۍ ووٚنن سِپہٕ بیٚہناوُن۔

دَگہِ روس دوٚد گو بے مانے۔ا۔ییٚتہٕ نہٕ کانٛسہِ رِشتے آسہِ تَتہِ چھُنہٕ ژُک تہِ آسان۔۲۔تَس اِنسانَس دوٚد باوُن چھُ بےٚ فأیِد یَس نِش نہٕ کُنہِ ہَمدردی ہٕنٛز وومید آسہِ یا یَس نہٕ دوٚد باوِتھ کانٛہہ اَثر گژھ ہے۔

دَگہٕ دِنہِ۔ا۔ووٚرۍ سُنٛد گیرَس بیترِ لگنہِ ستۍ ووٚنن بیٚہناوُن۔سِپہٕ گرنہٕ خأطرٕ کیرَس لگنہِ ستۍ ٹاس ٹاس دِیُن۔۲۔پھٕھَرَس یا چھوگَس بیترِ پیٹھ دارِ آب ترٛاوُن۔ پھٕھَرَس یا چھوگَس بیترِ گرٕم آبہٕ ستۍ ٹکورٕ کَرٕنۍ۔

دَگہٕ مَکھ۔(کانٛہہ گَتھ کڈنہٕ باپتھ یا کینٛہہ مألۍ راونہٕ باپتھ) مار گنٛڈ۔ژیٹھ۔گرٕژٕ کھر ژنگ بیترِ۔

دَگہٕ گرُن۔مارگنٛڈ گرِتھ مأ لۍ راوُن۔چوب دی دی کانٛہہ کأم بیترِ کرناوُن۔جَبرٕ ستۍ آمادٕ گرُن۔

دَگہٕ مَک۔(گرُن)۔مَتھٕ مَدارٕ (گرُن) ٹٹھٕ میٹھٕ (گرُن)۔

دَگ پیٛنۍ۔(ووہَو) دوکھ واتُن۔مرٕگ پھٔرُن۔

دَگ ٹلنۍ۔تیٚتھ کینٛہہ وَنُن یا گرُن۔ییٚمہِ ستۍ سختی گژھ ہے۔سَخ تکلیف واتہِ۔

دَگدار۔یُس ہیےٚ سُنٛد دوکھ دوٚد پانَس پیٹھ ہیٚیہِ۔سُہ یُس بَناوَتہٕ وِزِ اَکار بکار پیہِ۔ییمۍ ہٕنٛز آش آسہِ۔ یَس پیٹھ تکیہ آسہِ۔ژُکی دار۔ہیوٚت۔

دَگدأری۔ہَمدردی۔رَفاقتھ۔

دَگ دِنۍ۔ا۔وارِ ووٚنُن۔چیرِ ووٚنُن (ووٚرۍ لَفظ)۔

۲۔ زخمس بیترِ پٹھ کانٛہہ چیز دارتھ اوُن۔ م: پاں۔
دَگ دِنی۔

دَگ ژھٕنٛی۔ (وو ہو) کانٛسہِ ہُنٛد کانٛہہ ٹوٹھ مارُن۔
کانٛسہ ہنٛدِ مَرنک تیوٗل تھوٗن۔

دَگ کھرٛ اونہٕ ژلٕنی۔ (وَرگہٕ) بوٗج نہٕ ژلُن۔ ذِکرِ ے
نہٕ کَرنی۔ زبوٗ پٹھ تہٕ نہٕ ہیوٗن۔ دخلے نہٕ دیُن۔

دَگ شیٛہلاوِنی۔ تیلُن کم کرُن۔ پٔتیُم منٛتراوِنٛچ
کوٗشش کرِنی۔

دَگ کھرٛ اونہٕ ووٗتھنی۔ ل۔م: ووٚدرٕ سُنٛد دزُسہ یا
تٕسندی پٕدی زٕنہٕ تھوٗ دووٗتھنی۔ (وَرگہٕ) کرٛکھٕچ
نہٕ ووٗتھنی۔ ژھوپہٕ ژھوپہٕ پاے گژھنی۔ سُر بَنہٕ
کاونہٕ ووٗتھُن۔

دَگ لَلہٕ وِنی۔ ۱۔ وِہُن ژالُن۔ بیمارِ بیترِ ہنٛدی
تکلیف بَرداش کَرنی۔ داد یٚک تٕر۔ سختی بیترِ ژٕلنی۔
۲۔ دوکھ دود ژالُن۔ مُصیبتھ بَرداش کرُن۔
۳۔ ٹوٹھ اُشناو مُرن تہٕ تمیٚک دوکھ تہٕ غم ژٕلُن۔
دوکھ ژٕلُن۔ ۴۔ کانٛسہِ کیٛنٛہ مُصیبتھ حوالہٕ گوٚژھُن۔

دَگ ووٗتھنی۔ ۱۔ پھٕلُس۔ چھوٚکس بیترِ تٕر ووتھُن۔
پھٕہُن یا دود تیلُن۔ ۲۔ کانٛسہِ ٹاٹھِس کُنہٕ قسمُک
نوقصان واتُنہٕ کِنٛی کیٛنا ہتام ہیوٗ گوٚژھُن۔ ۳۔ کانٛسہِ
بیٚے سُنٛد دوکھ نہٕ ژالِتھ ہیکُن۔ بیٚے ہنٛدِ بَدَل تٕر
ووتھُن۔

دَگہٕ دَگہٕ۔ ن۔ مؤل: دَگدَگ < ع: دغدغۃ]۔ کُنہٕ چیزُک یا ناز
نشہٕ۔ جوٗانی ہنٛد نشہٕ۔ ژھوکھ۔ دزٕ بُزٕ۔ پھٕٹہٕ پھٕٹہٕ۔
دَگہٕ دَگہٕ آسُن، دَگہٕ آسُن۔ کانٛسہِ ہنٛد پٹھ آسُن۔
دولتُک یا جوٗانی ہنٛد ژھوکھ آسُن۔

دَگُن۔ ن۔ مؤل: دَگُن < س: دَگھ]۔ ۱۔ (کانٛہہ داتھ
بیترِ دوکرِ ستی) دَب دَب دِتھ بٔنہِ راوُن۔
۲۔ کاجہِ وَٹہِ یا ژھوٹہٕ بیترِ ستی کُنہِ چیزَس
ووکھلُس، کھلِس بیترِ منٛز نیٚک نیٚک کرُن۔
۳۔ ژھوٹہٕ۔ لٔکرِ ہنٛد ژھوٹہٕ ییٚمہِ ستی پھٕلبِن
گَس چھِ دِوان۔ لوٚکُٹ اَتھ مُہُل۔ ۴۔ کانٛہہ
دوگُمت چیز (سِتُٛین بیترِ)۔

دَگان دَگان۔ مارٕ مارٕ۔ زدٕکوب کٔرِتھ۔ (وَرگہٕ
پاٹھی) جبٔرن۔

دَگان دَگان اَنُن۔ (وَرگہٕ) کانٛہہ مُشکل کام ستھ
ستھ اَنٛد واتناوِنی۔ اَنجامَس واتناوُن۔ زوٗرزارِ
کام پوٗرٕ کرِنی۔

دَگہٕ بالہٕ۔ ۱۔ دَگنہٕ ستی ژھٔسی کوٗرمُت لوکُٹ تیٛور
بیترِ۔ ۲۔ لوکٹِس ٹُرس ریٚتہہ پاٹھی وَنان۔

دَگُن دیُن۔ سوٚہرِ دالہٕ بیترِ ژھوٹہٕ (دَگنہٕ) ستی
گَس دیُن۔

دٕگِ دٕگِ سون۔ ؤچھو "دٕسِ دٕسِ سون"۔

دَل۔ ن۔ مؤل: دَل < س: دَلہٕ]۱۔ ہَر۔ تَر۔ نٚیج جوش۔
گب۔ ۲۔ پوٚشہِ دٕتھر۔ ۳۔ دٕہر۔ دور۔ کھٕنٛج یا
پوٚکھ۔ ۴۔ دوگ۔ منٛنچ اَکھ عَمَل۔ م: داں دَل۔

منٛز دَل۔تومَلہٕ دَل۔۵۔(وَرگہٕ پأٹھی) گٔتھن پھُٹھ کڈنہٕ باپتھ پھٕیُر۔

دٕلِس لاگُن/دٕلِس ہیٚون۔کانٛسہِ پٕژھ گارلاے گنٛز۔ تَفتیش لاگُن۔بازخاس کَرُن۔جَواب طَلبی کَرٕنۍ۔

دَلہٕ دژ لمُت۔(وَرگہٕ) آزمایٔشومنٛز دژ لمُت۔سُہ تیٚمۍ دُنۍ یِہِنک سوٚن ووگُن آسہِ وُچھمُت۔رَنٛدٕ دژ لمُت۔

دَلہٕ دژٕ کہٕ نیرُن۔(وَرگہٕ پأٹھی)دُنۍ یِہکوٕ ٹاسَو تلہٕ نیرُن۔پےٚ پرُدٕ کاربَنٛن۔ژھٹہِ بَٹہٕ نیرُن۔

دَلہٕ کَڈُن۔ا۔(دلنہٕ بیترِ)دوگہٕ کَڈُن۔۲۔(وَرگہٕ) شَرم تہٕ حیا ترٛٲوُن۔رَنٛدٕ کَڈُن۔

دَلہٕ کوٚ ڈمُت۔سُہ شُریَس لوکچارٕ پیٹھے ناکارٕ کامَن ہأل آسہِ گَرنہٕ آمٕژ۔بَدذاتھ تہٕ بَد اَطوار شُر۔(وَرگہٕ) رَنٛدٕ کوٚ ڈمُت۔

دَلہٕ نیرُن۔بَدنام تہٕ بزگار گژھُن۔اُٹھ اُٹھ نیرُن۔رَنٛدٕ نیرُن۔

دِل دیُن۔ا۔مُنُن۔صاف کَرُن۔شوٚزراوُن (ولنہٕ بیترِ)۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) کٲتھ پٔوٕر پأٹھی وبزھناوٕنۍ۔کٲتھِ واش کَڈُن۔

دَلَو۱۔ن۔مۄل:دَلو < س:دارَو ]۔ا۔تالَو پَچہِ یِمہٕ گَربن پیٹھ وَہرلنہٕ یِوان چھے۔۲۔کژٕ پرس بیترِ گُلِس دِنہٕ آمُت پَچہِ فَرٕش۔۳۔گالَو۔نادِ بیترِ ہُنٛد فَرٕش۔۴۔کُنہِ تہٕ چیرٕک فَرٕش ہیٕو۔ م: مَنگولہٕ دَلَو۔ اوبرٕ دَلَو۔۵۔سیٚومب۔تُلہٕ دور۔

دَلَو۲۔پَلَولفظُک پوٚت صَدا۔ م: پَلَو دَلَو۔

دَلال۔ن۔مۄل: دَلال < ع: دلال]۔دژال۔ دَلألی۔دژالِنہٕ۔

دَلہٕ۔ن۔مۄل: دَل < ع: دَلال]۔ا۔یُس زَنانَن دژ لرٕ آسہِ گَران۔گان۔۲۔بَد ذاتھ۔

دَلہٕ باپار۔ا۔گانہٕ گی۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) بَد ذأتِل۔

دَلہٕ گی۔ا۔گانہٕ گی۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) بَد ذأتِل۔

دَلُن۔ن۔مۄل: دَل < س: دَلنہٕ ]۔ا۔تورِ بیترِ ستۍ چھَچھ ہیٚنز یا کَرُن۔سیٚود کَرُن۔سُتراوُن۔ سوٚمبراوُن (لَکرِ ٹکرٕ بیترِ)۔۲۔بگواس کَرُن۔ گنٛڈٕ روس کَتھ کَرنہِ۔دَل دیُن (کتھَن بیترِ)

دَلیٖٹھ۔ن۔مۄل: ڈلیٖٹ <؟ انگریزی۔ڈلیٖٹ Delate]۔ عَدالَژ ہُنٛد پیادٕ۔گرِفتار کَرَن وول پُلسہٕ وول۔ ہَنٛگ دارٕ سُنٛد وایَن وول۔

دَل ننٛبد۔ا۔گوڈنیُچ ننٛبد۔۲۔پٔتیِم یا ژوٚرِم ننٛبد۔ژژ وٹھ۔

دَل واتٕژُل۔دَل واتٕژُن۔دَل واتٕژ و۔ن۔ مۄل: دَل واتٕژل < س؟ دَلہٕ+ وادنہٕ ]۔بَحث بحثی۔ وادواد۔کُنہِ کَتھِ یا مسلَس پیٹھ ہنٛگامہٕ لاگُن۔۲۔ٹلی لۄکہٕ ہٕنٛز مینٛگہٕ دَگ۔لۄکہٕ ہٕنٛز دناسیری۔

دَل واتٕژُل لاگُن۔ا۔بحث بحثی کَرٕنۍ۔۲۔ٹلی لۄکہٕ ہٕنٛز مینٛگی دَگ پھٕرٕنۍ۔فوٚضولَس پیٹھ کانٛسہِ ہٕنٛز دناسیری وَہراوٕنۍ۔

دَم ا۔ن۔مؤل: دَم ح ف: دَم ]۔ا۔شاہ۔۲۔زُو۔ پرٛان۔
۳۔حبس۔ہَوا بیترِ بَند گژھنٕچ حالتھ۔ ٖسسَر
۴۔چھاو۔چھاوانہٕ باپتھ نارس پیٹھ (تھَوُن)
۵۔ڈُنگ۔(یہٕ چھُ شاہ بَند کٔرِتھ تھےٚ یِوان
دِنہٕ)۔۶۔شاہ بَند آسُن۔ہتھ۔۷۔شانٛش۔تَم
۸۔ژھوپہٕ ۹۔(وَرگہٕ پأٹھی) جان صوٗرَتھ
(آسٕنۍ)۔جان گٔنڈارس منٛز (آسُن)
۱۰۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔خمہٕ خمہٕ (آسُن)۔
زُوردار (آسُن)۔۱۱۔ٹھٔہرُن یا تھکھ (لوٗسُن
ژٔلراونہٕ باپتھ)۔۱۲۔تیٚزٕت کال یُزٕت شاہ
وَسہٕ کھسہٕ لگہٕ۔ژٕہپہ۔بُرٛژو۔۱۳۔پیر سُند پھوکھ۔
۱۴۔ژھوکھ۔کبر۔۱۵۔(وَرگہٕ پأٹھی) لاف۔
دَمَس ستیٚ نمسکار۔تیٚتِس کالس کأنٛسہٕ صوٗرَتھ آسہٕ
یا یختیار پوشہٕ۔تیتیٚ سے کالس چھِس لۄکھ یِژتھ
گران۔
دَمَن پیٹھ آسُن۔مَرنَس وۄتمُت آسُن۔برٛژوٕہن
ہُنٛد آسُن۔یُس وُنی چھُ تہٕ وُنی چھُنہٕ۔مَرنہٕ سَر۔
دَمَن منٛز۔بِزُوٕہن منٛز۔سبٹھا کم وقتس اَنٛدر۔
دَما دَما کڈُن۔دوہ دوہ کڈُن۔
دَمِ آخر۔پٔتِم شاہ۔مَرن وِز۔سوو زیٚیمہٕ ساتہٕ کانٛہہ
پرٛان تراوِ۔
دَمِ عیسیٰ حضرتِ عیسیٰ سُند پھوکھ یٚیمہٕ ستیٚ مورد زِندٕ
اوس گژھان۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔سُہ تأویزٕ یا

توبرٕ کہِ یُس ڈٔلی ڈٔلی اَثر کٔرِ۔
دَمہٕ اَنُن۔وارٕ پأٹھی چھاوٕ اَنُن یا سیٖنٛن بیترِ دَم پونٛختہٕ
کرُن۔
دَمہٕ اولو۔اولویم دَم دِتھ رَنہٕ آسَن آمٕتۍ۔
دَمہٕ ٹیوٗٹھ۔گم مُدریر تڑٕ اُوتھ دَمہٕ چاے۔
دَمہٕ چاے۔دَم دِتھ بناونہٕ آمٕژ تۍ چاے۔
دَمہٕ عارَق۔سُہ آب یُس بوٗٹہٕ گژ کہٕ ناونہٕ وِزِ دوتھ
وِنُس بھَس بناوان چھِ۔
دَمہٕ کوٗٹھر۔سُہ کُمر یتھ نہٕ ہَوا ایلہٕ آسہٕ۔
دَمہٕ موٗنٛجہٕ۔روغن جوش چالہٕ رَنہٕ آمٕژ موٗنٛجہٕ۔
دَم اَنُن۔ا۔شاہ بَند کرُن۔ہتھ کرُن۔۲۔ٖسسرِ یا
چھاوَس تھُوتھ پاکہٕ اَنُن ۳۔پونٛختہٕ کرُن۔
دَم باز۔اَنٛدرٕ ہَمل۔یُس نشہٕ نہٕ گتھ ڈٔلی ڈٔلی پھٔٹہٕ۔
دَم بہٕ خود۔ہے بنگہٕ۔اَنٛدری پھوٚٹمُت۔
دَم بوٗنٛس۔سُہ یُس اَنٛدری گتھ رَٹہٕ تہٕ شاہ تہٕ کھارِ
نہٕ ہنہٕ مَنَن۔اَنٛدرٕ ہَمل۔
دَم پکُن۔(وَرگہٕ) گٔنڈارٕ پکُن۔وارٕ وَتہٕ روزُن۔
دَم پوش۔ا۔وار یاہَس کالس اَکےٚ شاہ پوشُن۔
۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) ہمتھ روزٕنی۔ہکتھ روزٕنی۔
۳۔گٔنڈارٕ چلہٕ وُن روزُن۔آسُن بَسُن روزُن۔
دَم پونٛختہٕ۔دَم دِتھ تہٕ باہ بَند کٔرِتھ پاکومُت یا چھاوٕ
اونمُت۔
دَم پھٔٹ (گوٗٹُھن)۔ا۔شاہ بَند گوٗٹُھن۔۲۔(وَرگہٕ

پاُٹھی) اَنٛدری سَختی گژھنۍ۔ نبٕر نہٕ ژھٔٹِتھ ہیٚکنۍ۔ وَننہٕ دادِ پھٔٹنس واتُن۔

دَم دَم۔ زِنٛدگی ہٕنٛز گرا گرا، بڑ ژراہ بڑ ژراہ۔

دَم دار۔ گوبٕ رٕسان۔ کمامہٕ سان (ییٚہن وول)۔

دَم دِتھ۔ ٹھہرِتھ ۔۲۔ (ورگہٕ) سوٗنٛچِتھ۔

دَم دِلاسہٕ (دِنۍ)۔ تَسلا کرُن۔ سَتھ کرٕنۍ۔ ہِمَتھ بڈراونۍ۔ مَدارِ کرُن۔

دَم دِنۍ۔ لاف دِنۍ۔ بُڈٕ ہی تھکنۍ۔ آسنَس ہاو ہاو کرُن۔

دَم دِی دِی۔ ۱۔ ٹھہرِ ٹھہرِ۔ ۲۔ (ورگہٕ) سوٗنٛچ سوٗنٛچ۔ (کتھِ) ژاپھ دِتھ۔

دَم دیُن۔ ۱۔ حَبس نفس کرُن۔ پرانایام کرُن۔ ۲۔ تھکھ کڈُن۔ ۳۔ قرار کرُن ۴۔ ڈنگ دِنۍ۔ ۵۔ پیر سُنٛد پھوک دیُن۔ ۶۔ قُمرِ سُنٛد بولُن۔ ۷۔ ٹھانہٕ بَنٛد کرُن۔ (چھاوانہٕ یا خُم کھارنہٕ بپترٕ باپتھ)۔

دَم روزُن۔ ۱۔ شاہ پوشُن (آبس بپترٕ منٛز) ۲۔ شاہ روزُن۔ زِنٛدگی روزٕنۍ ۔۳۔ (ورگہٕ پاُٹھی) ہِمَتھ روزٕنۍ۔ ہیٚکتھ روزٕنۍ۔ دُنہٕ حوصلہ آسُن۔ ۴۔ گُذارِ پوشُن۔

دَم زَدَن اَنُن۔ دَنٛس جوٗرتھ کرُن۔ م: تمۍ رٕتھ پاُٹھی اون یہٕ دَم زَدَن۔

دَم زَدَن نہٕ اَنُن۔ رٔژھ نہٕ ذِکر کرٕنۍ۔ کتھِ ہُنٛد اِفشاتہٕ نہٕ دیُن۔

دَم سمبالُن۔ ۱۔ شاہ پھیٖرٕ کرُن۔ تھکھ کڈُن۔ میٚنٛزٕ پتہٕ ٹھہراو کرُن۔ ۲۔ شانٛتش بپترٕ یِنۍ۔ پھرٕ کھ سمبالُن۔ ۳۔ نوٚسرٕ صوٗرتھ یِنۍ۔ گُذارِ بَنُن۔

دَم شُماری۔ ۱۔ ہتھ ہتھ دوہ دوہ کڈُن۔ ۲۔ مَرنہٕ سَر آسُن۔

دَم کرُن۔ ۱۔ (کانٛسہٕ) شاہ بَنٛد کرُن۔ شاہ نہٕ ہیٚنہٕ دیُن۔ ۲۔ ژھوپہٕ کرٕنۍ۔ ہِر صَدانہٕ کرُن۔

دَم کھارُن۔ شاہ ہیوٚن۔

دَم گُذارُن۔ (ورگہٕ) وَق کڈُن۔ گُذارِ کرُن۔ بڈٕ کشالہٕ سان گُذارِ کرُن۔ تنگ دٔستی ہٕنٛز زِنٛدگی گُذارٕنۍ۔

دَم ہارُن۔ ۱۔ شاہ ژھوکُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاُٹھی) تھکِتھ ژھیٚنِتھ پیوٚن۔ ہیٚکتھ نہٕ روزٕنۍ۔ ۳۔ (ورگہٕ پاُٹھی) بڑانٛتھ ترٛاونۍ۔ پرٕ پھٔٹنہٕ۔ ہتھی یار ترٛاونۍ۔

دَم ہیتھ بِہُن۔ ۱۔ ژھوپہٕ دوپہٕ کرِتھ بِہُن۔ نرٕ مرِ ڈٔلتھ بِہُن۔ سوٗسمار پاُٹھی روزُن۔ کامہٕ کُن کانٛہہ توجہ نہٕ دیُن۔ ۲۔ (شِکاری جانورٕ سُنٛد) زاگ ہیتھ بِہُن۔ ۳۔ (ہزلہٕ) ہاو باوٕ موجوٗب دٔظیفہٕ خانٕہ زَن بِہُن۔

دَم ہیوٚن۔ ۱۔ تھکھ کڈُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاُٹھی) بوٗتی مار ہیٚہ بِہُن۔ منحوٗس پاُٹھی بِہُن۔

ڈٕمی۔ ۱۔ ڈُنۍ۔ ہتھے کُنۍ۔ ڈُنۍ ڈُنۍ۔ اَتی۔ م: ڈٕمی ڈٕ ٹھم

گَج دَزِ وِنی ۔۲۔ اَکہِ وِزِ ۔ اَکہِ ساتہٕ ۔ کرٛتام ۔
تیلی ۔

دَم۲ ۔ ن ۔ موٗل: دَم > س: دَمہ ] ضبط ۔ قوبو ۔ ناکارٕ
خیالک ترٛاپُن یا کرتوٗ نک روک ۔ مِ : سہزٕ س شَم
تَے دَم نوٗ گژھے ۔ پرٛ ژھِ پرٛ اوکھ مُکتہٕ دار
(لل دید)

دَمَن ، دَمنی ۔ م ۔ موٗل: دَم > س: دَھمہ نی ] ژٔمَن
یوسہٕ ہوٗتی متِس یا ژوکیمتِس دوٗدس بیترِ ووتھان
چھےٚ ۔ ژوکہِ پھکھ ۔

دَمَن بَستہٕ ، دَمن ہال ۔ کھارٕ سُند یا ٹھاٹھرٕ سُند اَکھ
وُسلہٕ یَمہٕ ستیٚ سہٕ نارٕ ہناوان چھُ ۔

دَمَن نور ۔ دَمَن بَستہٕ ہُند سہٕ حِصہٕ یُس اَرٕ ہوا نیران
چھُ ۔

دَمادَم ۔ موٗل: دَمادَم > س: دَھمہ (دوٗگُناوِتھ) ۔۱۔ پھوکَن
پتہٕ پھوکھ ۔۲۔ پیٛوٗ ٹھَس پتہٕ ۔ ژھِنہٕ روس ۔

دَمام ۔ ن ۔ موٗل: دَمام > ف: دَمامہ ] ڈُم ڈُمہٕ ۔

دَمٲمی ۔۱۔ ڈول وٲیِن وول ۔ پارے دِنہٕ وول ۔
۲۔ (وَرگہِ پٲٹھی) پٔکوٗ ۔ وٲیِن وول ۔ حمٲمی دمٲمی ۔

دَمٲلی ، دَمبٲلی ۔ م ۔ موٗل: دَمال > پرٛاکرت: دَھمہٕ +
آلو > س: دَھرٕنہٕ + آلپ ] ۔۱۔ (کٔشیرِ ہُند)
لُکہٕ نژُن ۔۲۔ کھورَو ستیٚ ٹھٕر وٲیِن ۔ پتھرِس لَتہٕ
دِنہٕ ۔ (ووڈِنی رٔو زِتھ) ۔۳۔ ہُردُس تہٕ بُردُس
(خاص کٔرِتھ شُرِ بن بیترِ ہُند) ۔ دَبہٕ رارٕ ے ۔

دَمالہٕ فُقیٖر ، دَمبالہٕ فقیٖر ۔۱۔ یُس دَمبالہٕ نژُن پیشہٕ
آسہٕ ۔۲۔ فُقیٖرَن ہُند اَکھ ٹوٗلہٕ یُس دَمبٲلی گرٕی
گرٕی دُعاچھُ گران ۔۳۔ (وَرگہِ پٲٹھی) سُہ
اِنسان یُس دَمبٲلی گرٕی گرٕی پنٕن بول بجاانہٕ تہٕ
یہٕ منگہٕ تہٕ ہیٚنہٕ ۔

دَمٲلی لاگنی ، دَمبٲلی لاگنی ۔۱۔ تَو ستیٚ اَرلہٕ ٹلُن ۔
۲۔ ہنگامہٕ لاگُن ۔ زِشٕنگہٕ لاگُن ۔

دَمہ۱ ۔ ن ۔ موٗل: دَم > س: دَھرمَن ۔ مُ ۔ آسامی دھام ]
۱۔ نالہِ بیترِ ہُند بوٗٹھ یا پیر ۔ مِ : نالہِ دَمہٕ ۔۲۔ ٹوٗپہ
ہُند دامنہٕ ۔ ٹوٗپہٕ ہِندِ دامنک سہٕ حِصہٕ یُس یتھ
اَندٕ رکُن پجرِتھ آسان چھُ ۔ سوٗزنی ٹوٗپہٕ ہُند بوٗنیم
حِصہٕ ۔

دَمہٕ دار ۔ سوٗٹوٗلی بیترِ یتھ دامنَس پھُتی لہٕ دار حاشیہٕ
لاگِتھ آسہٕ ۔

دَمہ۲ ۔ ن ۔ موٗل: دَم > ف: دَمہ ] شاشہِ ہُند مرض ۔
پھرٕ کھ کھیٚنچ ۔ بمٲری تَم ۔

دَمکی ۔ م ۔ موٗل: دَمک > س: دَھمہٕ + اِکا / ف ۔ دَمی ]
جنٛچیٖر یتھ ٹکی چہٕ ژھوٹ چھُ آسان ۔ شوٗدِ جنٛچیٖر ۔

دَمنی ۔ م ۔ موٗل: دَمنی > ف: دُچھو دَمہ ] ۱ ۔ شانٛش ۔
پھرٕ کھ ۔ شہُس لَمہٕ ۔۲۔ تیٖر بن ہنزٕ اَکھ بمٲری یوسہٕ
تمن وتٕندَس منز گران پھےٚ ۔۳۔ زہتھ ژاس ۔ زپکھ ۔

دَمُن ۔ ن ۔ موٗل: دَم > س: دَھمنہٕ ] ۱ ۔ پھوکھ دِیُن ۔
(ژِنین بیترِ) ۔ پھکُن ۔ دَمَن بَستہٕ بیترِ ستیٚ ناروہہٕ

ناوُن۔۲۔ کھمُن۔۳۔کانٛسہِ سِتؠ بدمأشی گرٕنی۔

دَم چۆلہِ۔ٹینٛبو ہاہ کول۔

دَم دَم۔ن۔مؤل: دَم دَم <ف: دَم دَمہ ] ہؤ ہو'
(شینہِ ژَھٹہِ ہُند ہیتر )۔

دَم دَم خانہٕ۔سو جاے ییتہِ تٔر ہُند ہؤ ہؤ آسہِ۔
شِشترٛم خانہٕ۔

دَم دُر۔م۔مؤل۔دَم در <س: دَھرمن+ دھرٛ ]
(ڈٕبہِ) دارِ ہیتر ہُند پیٹھُیم حِصہٕ۔

دَم دَرِ کھون دِتھ بِہُن۔(وَرگہٕ) چاوٕ تھ بہُن۔
کِماہہِ سان بہُن۔

دَمگیر۔<ف: دَم+گیر ]۔گتر یُس گٔدرٕ دار ٹھانہٕ ییمہِ
سِتؠ توٗندرس ژوچہِ ڈُرٕ لٲگتھ دَم چھِ گران۔
توٗندرٕک ٹھانہٕ۔

دَملہِ حَمل۔م۔مؤل: دَملہِ حَمل <ع: حملہ، حمل+ دَمَل
=حَمل لفظُک پۆت صدا] وچھو حملہِ دَمَل

دَن ۱۔ن۔مؤل: دَن <ویدک س: دَنڈٕ] ۱۔تھچھ۔واسہٕ۔
چیژٕک سُہ حِصہٕ ییمہِ سِتؠ سُہ رُٹی زِ۔۲۔موٚ
ہیتر ییک لوٚٹ۔۳۔پوشہِ ہیتر ییک نَل۔

دَنہِ کنٛی پھرٕنی یا پھِرن۔۱۔ہیرٕیم بون گرٕن۔
۲۔بَب ہیوٚن۔نگار گرُن۔۳۔پوٚت پھیرتھ
نکھَس کھارُن۔اَدلس بَدَل گرُن۔

دَن تہٕ وانگُن الگ الگ گرُن۔ل۔م۔پوٚز زاپٕز
ژٕرٛاوُن۔دَن أکس کُن تہٕ وانگُن مازبینس
کُن علاحِدٕ علاحِدٕ کڈُن۔ گتھ پۆرٕ پأٹھی چھل
دِنی۔سوٗرٕے وِہزٕھنأ وِتھ ترٛاوُن۔

دَن ۲۔ن۔مؤل: دَن <س: دَھنُہ ]۔کمأنی شکلہِ اکہِ
رأش ہُند ناو۔برُج قوس۔

دَن لگُن۔سُہ ساتھ ییٚمہِ وِزِ دَن راش لگہِ۔

دَن ۳۔ن۔مؤل: دَن <س: دَنتہ/ف: دند] دَند لفظُک
ژھوٚٹ۔یہِ چھُ کینژَن لفظَن سِتؠ بٔڑ وٗنہہ لوٚگ
لگان۔م: دَن ٹکر۔دَن دَگ۔

دَن دَگ۔۱۔سو دَگ پھُہُن یا وِہُن یُس دَنٛدَن
دود گرنہٕ سِتؠ ووتھان چھُ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)
گتھ بگواس۔فٔضوٗل گتھ۔پیچیدگی۔پریشانی
دَن دَگ لاگنی۔کٕہنٛز کٕہنٛز گرٕنی۔بگواس لاگُن۔

دَنٛن گنٛدُن۔لُٹھ کِجہِ لُٹھی اَکھ کھیل۔باز۔بُزنی۔

دَناسپر۔<س: دھناشرٛی۔م۔ہ: دھناسری]۔۱۔اَکہِ
راگہِ ہُند ناو۔یتھ سبٹھا پیچیدٕ الاپ آسان چھِ۔
۲۔(ہَشلہِ) بکھر۔گتھ۔خوشکبتھ۔

دَناسپر لاگنی۔بےٚ مانہِ زٕہٹھ زٕہٹھ گتھ لاگنی۔
مبگہٕ دَگ ٹلنی۔

دَناڈی۔ن۔مؤل: دَناڈ <س: دَھناڈھیَہ] دَنہِ وول۔
دَولتھ مَند۔یَس کأفی دیار آسَن۔

دَنِشٹ۔م۔مؤل: دَنِشٹ <س: دَھنِشٹھا]۔جوتشہِ مؤجوٗب
نچھتُر یا ساتھ۔

دَنہِ واد۔ن۔مؤل: دَنہِ واد <س: دھنٔیہِ وادُ]۔شُکرِیہ۔

اَستوتھ۔

دَنہٕ ۔ن۔مؤل: دَن < س: دھنہ ]۔دیار۔ مال دولتھ۔

دَنہٕ پَنہٕ ۔< س: دھنہ+ آتمن ]۔زُو زٕنگی تہٕ مالہٕ زٕنگی۔

دَنہٕ پانہٕ لفظلُک ژھوٚٹ۔

دَنہٕ پَنہٕ لگُن ۔ا۔زُو جانہٕ سان کُنہٕ کامہٕ لگُن ۔۲۔پرٛتھ زٕنگی کانٛسہِ تل لگُن ۔مالی تہٕ جانٛیُ کُنہٕ چھپہٕ لگُن۔

دَنہٕ دَولتھ، دَنہٕ دیار۔ مال جاداد۔ ہار دیار۔ آسُن بسُن۔

دَنہٕ کاڈے۔ خامخاہ پوٚنسہٕ خرچ کرٕنی پیٚنٛز۔فضوٗل خرچی۔ دیارٕ کاڈے۔

دَنہٕ وان۔ دیارٕ وول۔ اُمیر ۔دولتھ مَند۔ دُنی یادار۔

دَنہٕ ہیوٗر۔ پہاڑی ہنٛز سولوٗر یتھ پیٹھ سہٕ اَسامین ہنٛد بِن چار وایَن ہنٛد حساب رٕکھہ دی دی تھوان چھہٕ۔

دَنُش ۔ن۔مؤل: دَنُش < س: دھَنُش] کمان۔ ہانٛژ۔ دوٗنی۔

دَنی دُب ۔ا۔(وَرگہٕ) پیوٚن تہٕ گوٚژھُن ۔وُچھان وُچھان مرُن ۔چٕنٛھ تہٕ پھرٕٹھ ۔۲۔ کانٛہہ چیز تھز رٕ پیٹھ پیوٚن تہٕ تتھ چوٗر گوٚژھُن۔

دَن با گہٕ ۔< س: دھنیہ+ بھاگیہ ]۔خوش قسمتی۔

دَنتہٕ کتھا ۔م۔مؤل: دَنتہٕ کتھا < س: دَنتہ+ کتھا ] ۔ ربوٗاُیتی قصہٕ۔

دَنتہٕ کتھا لاگنی ۔(ہزلہٕ) قصہٕ خانٛی کرٕنی۔

دَنٛد ۔ن۔مؤل: دَنٛد < س: دَنتہ/ف: دَندان]۔ا۔ مازیرٕ و منٛز وہ پدٕ ٚمتی اُڈی جہٕ پھلی یموٚ ستی ژاپان ترٛکان بیترٕ چھہٕ۔۲۔لیٛترٕ ہنٛدی نوک یموٚ ستی لکٕر چیران چھہٕ۔

دَنٛدَس تل اونٛگجٕ ژھنٛنی ۔ا۔حاٗران گوٚژھُن ۔بےٚ خبَر آسنُک اِظہار کرُن ۔۲۔افسوٗس کرُن۔

دَنٛدَن کھسُن ۔اُنزرَنہٕ یُن ۔پرٛتھ اَکی ہنٛزٕ زبِنؠ پیٹھ کھسُن ۔بَدنامی گژھنی۔

دَنٛدَن کھہرن دِتھ روزُن۔ کھنٛبس پیٹھ یا دادٕ واتناوُنس پیٹھ تیار روزُن۔

دَنٛدَن کھہرن دِنی ۔دَنٛد تیز کرٕنی تہٕ دُپتھ گو کھنٛبس پیٹھ تیار روزُن۔

دَنٛدَن لگُن ۔(وَرگہٕ) کینٛہہ کرُن یا دیُن۔ ظلم باسُن۔ وانٛٹھ نہٕ پھیرُن ۔نگھ والُن ۔کرٕوٗٹھ گوٚژھُن۔

دَنٛدٕ برٕ یا برٕ نہٕ ۔کٔنی کتھ نیرتھ ژٕلنی ۔وٕشفس منٛز کتھ نیرتھ ژٕلنی ۔تہٕ وٕنتھ گوٚژھُن یہٕ نہٕ وَنُن پزٕ ہے۔

دَنٛدٕ برٕنی ۔وُچھو "دَنٛدٕ برٕ"

دَنٛدٕ بر بو منٛز کڈُن ۔(وَرگہٕ) ہَضم کوٚرمُت مال زورٕ جبَرن واپس ہیوٚن۔

دَنٛدٕ برٕ ۔دون دَنٛدَن منٛز باگ کھر پھہٕ۔دون دَنٛدَن منٛز وٕژھر۔

دَنٛدٕ پھلی ۔نکی نکی دَنٛد۔ دَنٛد یم چمکان آسن موختہٕ پھلی ہوی (شوٗبہٕ وٕنی) دَنٛد۔

دَنٛدٕ خلال ۔دَنٛد بر بو منٛز مَل کڈنہٕ با پتھ اَکھ خاص

تُج۔ دُنی تُج۔

دَنٛدِ کھاو۔ دَنٛدَن ہنٛز اکھ بیمأری یمہِ سٟتۍ دَنٛدٕ ستھ چھِ پوان۔ پیٛو ریا۔

دَنٛدِ کھیس۔ یمِس بڑٕ ٹھی موٚ دَنٛدٕ منٛز کانٛہہ دَنٛد نیرتھ آسہِ ژولمت۔

دَنٛدِ گوٚر۔ مازِ بیرِ ہُنٛد سُہ حِصہ یُس (دون) دَنٛدَن منٛز باگ آسان چھُ۔

دَنٛدِ مال۔ دَنٛدَن ہنٛز تنٛدل۔ دَنٛدِ ووٚٹ۔

دَنٛدِ وانے۔ دَنٛدَن ہنٛز اکھ بیمأری یمہِ سٟتۍ دَنٛدَن دَگ چھےٚ گران۔

دَنٛدِ ووٚٹ۔ ہیرِ می یاوُنٛمی سأری دَنٛد۔

دَنٛد پیٚہناوُنی۔ (ورگہٕ) گتھ نہٕ پھورنہٕ دِنی۔ اہرِ پیٚہناوُن۔

دَنٛد پھٹِنی۔ شُرِس گوڈنِکہِ پھِرِ دَنٛد ترِنی۔

دَنٛد پھٹرُنی۔ (وَرگہٕ) تیٚتھ جواب وَنُن یتھ نہٕ اورِ کینٛہہ پھورِ۔ گتھ کرِنس نہٕ باتھ تھوُنی۔

دَنٛد ٹکر، دَن ٹکر۔ ترِپانہٕ سٟتۍ دَنٛد وزِنی۔ ترٕ سٟتۍ تھر تھر۔

دَنٛد ٹُونی۔ ژھوپہ گرٕنی۔ گوٚش دِین۔

دَنٛد ٹُوی ٹُوی وَنُن۔ کھوٚژی کھوٚژی وَنُن۔ ٹاکارِ پأٹھی وَنہٕ نَس نہٕ بُہرن۔ پکہٕ سان نہٕ ونتھ ہیکُن۔

دَنٛد چیرُنی۔ ژکھِ ہُنٛد باس دِین۔ سخ ژکھ کھسُنی۔

دَنٛد دِنی۔ اُری گَش لیٚترِ بیترِ نوٚسَرِ دَنٛد کڈُنی۔ لیٚترِ بیترِ نوٚی دَنٛد بناوُنی۔ لیٚترِ دَنٛدَن تیز کرُن۔

دَنٛد دِین۔ ۱۔ کھبنَس واتُن۔ کھبنَس بیترِ داد ہیوٚن۔ ۲۔ گتھِ مازُن۔ گتھِ سٔنُن۔

دَنٛد لوٚسُنی۔ ۱۔ ژاپنہٕ سٟتۍ دَنٛد تھکُنی۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) دُعائے خأر کرِی کرِی تھکُن۔ سبٹھا ہی گرٕنی۔

دَنٛد وَہراوُنی۔ بےٚ موقہٕ تہٕ بےٚ وٕطیر آسُن۔

دَنٛد ہاوُنی۔ ۱۔ زور ہاوُنی۔ ۲۔ لڑایہ خأطرِ آسُن۔

دَنٛد وَہراوُنی۔ بےٚ موقہٕ تہٕ بےٚ وٕطیر آسُن۔

دَنٛد ہاوُنی۔ ۱۔ زور ہاوُنی۔ ۲۔ لڑایہِ خأطرِ ووتھن۔ ژوٗنی ہیٚنی۔ ۳۔ بڑُن۔ وأنسہِ یُن۔ ۴۔ پلو بیترِ رٕنُن ہیوٚن۔ ژھبُن۔

دَنٛد ینی۔ دَنٛد پھٹِنی۔

دُنی تُج۔ دَنٛدِ خلال۔ سو تُج بیترِ یمہِ سٟتۍ دَنٛدِ بَر بو منٛز لشہِ بیترِ چھِ کڈان دُنٛدی مش۔

دوٚنٛد۔ یُس دَنٛد آسُن۔ م: دُوٚنٛد۔

دنداس۔ ن۔ مؤل: دنداس < س: دَنتہ + اُل لاسہ ]۔ دَنٛد صاف کرنہٕ باپتھ ڈوٗنی مؤلُک دبل (اَمہِ سٟتۍ چھِ وِتھ ووزلاونہٕ تہٕ یوان)۔

دَندانہٕ۔ مؤل: دَنٛدانِ]۔ ۱۔ سُہ یُس دَنٛد سبر گن آسُن۔ ۲۔ سو مَکایہِ ڈٹ یتھ صِرف کینٛہہ پھلی آسن تہٕ باقی گنٛز آسہِ پھلو رٕستے۔

دَندانہٕ ہنٛز بأش گژھنی۔ یہِ چھِ تیلِہ وَنان ییٚلہِ کأنسہِ ہنٛدِس ہٕنتھ یِنٛس کانٛہہ پژھ کرِنہٕ۔

دَندانہٕ مو یوو، لوٚکو دوپ یہِ چھُ اسانےٚ۔ یہِ

چھِ تَس پیٹھ وَنان یُس أنٛدٕرۍ أنٛدٕرۍ کوٗت تام
ووٗتمُت آسہِ مگر لوٗکن آسہِ نہٕ بیٚہان زِ أمِس
کیاہ چھُ کیٚنٛہہ گوٗمُت۔
دَنٛد کھاوِ۔ شیٖشہِ تر وُسہ ہتھیار یَتھ پیٚن جَل جَل پھٕٹان
چھےٚ۔
دَنٛد وزُن۔ بَکھ بَکھ۔ چَکھ چَکھ۔ گتھ گتھ تہٕ گرٕ فساد۔
دَنٛدٕ واو۔ ن۔ موٗل: دَنٛدٕ واو < س: دَنتہ + وایہ ] اکہِ
قسمُک پھھرِ واو یُس لیٖترِ ہنٛدۍ دَنٛد تیز گرُنٕس
لگان چھُ۔
دَن کاڈ۔ ژاٗرِیُن۔ ژھوٚٹھ۔ سَبزی بیترِ ہنٛدۍ ژٕڈ ژٕڈ
ترٛاوِ ہتہِ لُٹ۔ ۲۔ (وَرگہ پاٗٹھی) دَدارِ۔
نوقصان۔ ۳۔ ژٕ مینٛج سوٗ دُج یوسہٕ گاٗمس نَکھہ آسہٕ
بَنٛج دَدارَس پیٹھ آٗسہِ۔ لَتہِ وُٹ۔
دَن کاڈَس پیٹھ آسُن۔ سوٗ زمیٖن یَتھ گُپن یا تیٚر بیترِ
ژوٗر نوقصان گران آسَن۔ لَتہِ لوٚنہِ تَل۔ گھس پیٹھ۔
دَنٛگل۔ م۔ موٗل: دَنٛگل < ف: دَنگل ] ا۔ سوٗ جاے یتہِ
پہلوان دَبہِ دَب چھُ گران۔ اکہِ ہار۔ ۲۔ (وَرگہ
پاٗٹھی) دوٚن درَبن ہُنٛد ٹھوسہِ ٹھوس یا حَملہِ دَمَل۔
دَواِ۔ م۔ موٗل: دَو < ویدک س: دھو ] ا۔ تیز پَکُن۔ ژوٗتر
پَکُن۔ ٹَکھ۔ دوٗر۔ ۲۔ (وَرگہ پاٗٹھی)۔ پَکُن پاے۔
سوٗ جاے یوٗت کانٛہہ اَتھہ رٔٹہِ بالٕ تھ ہیٚکہِ گژھتھ۔
م: شُرِس چھےٚ ماجہ تام دَو۔
دَوِدَوِ۔ تیزی سان۔ ڈٕلی ڈٕلی۔ ٹینٛڈ بن پیٹھ۔
دَوِدَو۔ ا۔ ژُھپاٗرۍ دَوُن۔ ٹَکہِ ٹکھ۔ ۲۔ سَخ پاٗٹھی مصروٗفیتھ۔
۳۔ مان مان۔
دَوِ دَو گژھنۍ۔ کیٚنٛہہ وَٹھ پنہِ روس سبٹھاہ جانَن
گژھن پیٚون۔ ٹُکریُن گژھن پیٚون۔
دَو ٹٕلنۍ۔ ا۔ ٹَکہِ نیرُن۔ دوٗرِ نیرُن۔ ۲۔ ژٕلُن۔
۳۔ تیزی گرٕنۍ۔
دَو۲۔ ن۔ موٗل: دَو < س: دو ] تاسچہ ترٛپھ کھیلہِ منٛز
دوٗگن داو یٚہنٛس وَنان۔ بوٗلۍ دوگناوٕنۍ۔
دَو گرُن۔ بےٚ ہُن۔
دَو کھارُن۔ شَرٕ طاز یٖنُن۔ بےٚ زیٖنُن۔
دَو گژھُن۔ ا۔ (تاسَس منٛز) بولا بوٗلۍ گژھنۍ۔
پیٹھ بوٗلۍ کھسنۍ۔ ۲۔ دَو یٚہُن وأنۍ سُند ہارُن۔
دَوا۔ ن۔ موٗل: دَوا < ع: دَوا ] ا۔ سُہ چیز یُس بماٗرۍ
رُکاوُنس یا بٔگراوُنس لگان چھُ۔ علاج۔ ۲۔
(ہزلہِ پاٗٹھی) تَندوٗرُک۔ م: تَس اوس پی دَوا۔
پٔنہٕ ہمٕہ ہُنٛش تہٕ چھوٗلُن اتھ۔
دَواساز۔ یُس دَوا بَناوان آسہِ۔ دَوا کارخانَن بیترِ
منٛز کاٗم گرَن وول مُلاٗزِم یُس بماٗرَن تجویٖزٕ
موٗجوٗب دَوا بَناٗوِتھ چھُ دِوان۔ کمپونڈر۔
دَوا گرُن۔ علاج گرُن۔ ژٕلراوُن (دود بیترِ)۔
دَوأے یاتھ۔ وار یاہ دَوا۔ قسمہٕ قسمکۍ دَوا۔
دَواتھ۔ م۔ موٗل: دَوات < ع: دواۃ ] مسِل تھونٛگ
بانہٕ۔ میلہِ ینٛدُر۔ میلہِ ہوکہِ۔

دَوٗن ۔ن ۔مؤل: دَو < س: دھاوَنہٕ ۔ویدک ۔دھو] دوٗرُن۔ سبٕھا تیز پکُن۔

دَولتھ ۔م ۔مؤل: دَولت < ع: دولۃ ]۔دیٖار ۔مال ۔جاداد بیتر۔

دَولتھ خانہٕ۔روزَن جاے۔وَضع باہتھ گرس وَننہٕ یوان۔

دَولتھ مَند ۔دَنہٕ وول۔دیٖارٕ وول۔آسَن وول۔اُمیر۔

دَہانہٕ ۔ن ۔مؤل: دَہان < ف: دہان]۔۱۔اٰس ۔چوٗٹھ۔ ۲۔گوٗل (یوٗہرِ بیترِ ہُنٛد)۔

دَہشَتھ ۔ن ۔مؤل: دہشت < ف: دہشت] خوف ۔بیم۔ لرزٕ۔

دَہشَتھ پَسنٛد ۔سُہ شَخص یُس خوفہٕ تہٕ مارٕ ءتی پَنٕنٛز سیاسَتھ کامیاب وَبناوُنس مَنٛز پٔژھ آسہِ تھاوان۔

دَہشَتھ پسندی۔خوفہٕ تہٕ مارٕ ءتی پَنٕنٛز سیاستھ کامیاب بَناوَنک واد۔ترٛٲہراوَن واد۔

دَہشَتھ گرد۔یُس دہشَتھ پھٲلاوِ۔

دَہلیز ۔ن ۔مؤل: دہلیز < ع: دہلیز ]۔۱۔سو جاے یٔتھ گھہ بیتر آسہِ ۔۲۔ژھوٚٹہٕ لوو ۔۳۔بَرداس۔

دَہلیز تُلُن ۔ژھوٚٹہٕ امبار صاف گرُن۔

دَہلیز کھارُن ۔ژھوٗتُس لٲدٕ گرٕنی۔گَندگی ہِندی زَموار کھارٕنی۔

دَے ۔< س: دَیو]۔بگوان ۔خوداے۔

دَیہِ دَیہِ گرُن ۔۱۔خودلیہِ خودلیہِ گرُن ۔۲۔(وَرگہٕ) ہِن رٕٹُن ۔۳۔بٕڑٕ اٰتی ترٛاوِتھ دَے سوٗرُن۔

آش ترٛاوٕنی۔

دَیہِ سُنٛد گرُن ۔یہِ نہٕ اِنسانَس پانَس تام آسہِ۔

دَیہِ گتھ ۔خوداَیہِ سٕنٛز قودرَتھ ۔قودرَتٕکی رَنگ ۔ قودرَتَک بَجر۔ترٛٹھ کانٛہہ جان گتھ سَپدٕنی یٕیمیک کانٛہہ گُمانہٕ تہٕ آسہِ نہٕ۔

دَیہِ ناوِ ۔ے یوت آسُن ۔کیٚنٛہہ نہٕ آسُن ۔اتھِ چھوٚن آسُن۔

دَیہِ یژھا ۔یہِ قودرَتَس منظوٗر آسہِ ۔قودرتُک گرُن۔

دَے دِیہِ تہٕ بَرنیاسے ،دِیہِ نے تہٕ کرٕ ژٕہہٕ ژٕٹتھ کیا ۔تہٕ ژٕپتھ گو یٚیلہِ خودایاوری گرِتیٚلہِ واتہِ اوٚرے تہٕ اوتےٚ نٕتہٕ چھِنہٕ جَکھتھ بوٗرِتھ تہٕ کیٚنٛہہ بٕہتھان۔

دَے یَے دِیہِ تہٕ پوشکھ نہٕ رَٹہٕ نَس ۔تہٕ ژٕپتھ گو یٚیلہِ خودایاوری گرِتیٚلہِ چھُ پھری پھری ژٕھنان۔

دَیا ۔م ۔مؤل: دیا < س: دَیا] ۔مہرَبانی ۔ترٛس ۔رَحم۔

دَیا دَرِم ۔اِنصاف ۔رَحم ۔پزٕر ۔ایمان۔

دَیا گرٕنی ۔مہرَبانی گرٕنی ۔رَحم گرُن۔

دَیا وان ۔مہرَبان۔

دَیا ءنی ۔رَحم ءین ۔اِنصاف ءین۔

دَیہِ بَتہٕ ۔بٹُن ہُنٛد سُہ رَسِم یٕیمہِ مؤجوٗب لگِن گرِتھ مہرٕ یِنہِ تہٕ مہرٕ ازَس دانٛس پیٹھ بیٛہناوِتھ یِکہٕ وٹہٕ بَتہٕ چھِ آپراوان۔

دَیہِ لون ۔قِسمَتھ ۔نُصیٖب۔

دَیہِ مُرِٕ سٕتۍ چھاوٕے مُرِٕ گژھان۔ تہٕ دٕپتھ گوٚ فقیرَن تہٕ حاجتھ مَندن کانٛہہ سٕتۍ چھُنہٕ کانٛسہِ پٕران۔

دَیو۔ ن۔ مؤل: دَیو< س: دَیوٗ ]ا۔ خودایہِ سٕنٛز قودرتھ۔ ۲۔ نصیبہٕ۔ قسمَتھ۔

دَیو پھیرُن۔ قِسمَتھ پھیرتھ گژھن۔ مُصیبَتھ یُن۔ واوپیٚون۔

دَیُت۔ ن۔ مؤل: دَیت < س: دَیوَتہ ] گرٕس رٲچھ کرَن وول۔

دَیَت رازٕ۔ گر دِوتا۔

داب۔ ن۔ مؤل: داب۔ مُ۔ ہ: داب ] چھاپُک ٹھپہٕ۔ چھاپُک دَب۔

دابہٕ۔ ن۔ مؤل: داب <ف: داب ]۔ا۔ شان۔ بَجر۔ دَبدَبہ۔ ۲۔ روبہٕ داب۔ ہٲبتھ۔ اٲہر (کانٛسہِ حاکمہٕ سُند)۔

دابَس تل تھوٚن۔ یَس تل تھاوُن۔ کھوٚژناوُتھ۔ کانٛسہِ پیٹھ روبہٕ داب چلاوُن۔ اٲہر تھوٚن۔ کانٛہہ تھوٚن۔ لَتہِ تل تھاوُن۔

دابہٕ ترٛاوُن۔ اٲہر تھوٚن۔ ترٛہرناوُن۔

دلبہٕ تھوٚن۔ دَباوَس تل تھوٚن۔ سِکہٕ بِہناوُن۔ روبَس تل اَنُن۔

داپَر۔ ن۔ مؤل: داپر < س: دواپَر ]۔ پرٛانہِ حِسابہٕ ژورَو یوگو (زمانو) منٛز ترٛیِم یوگ۔

داتہٕ۔ ن۔ مؤل: دات <: داتا ]۔ دِنہٕ وول سخی۔ یُس یُثہٕ پٲٹھۍ دان آسہِ کران۔ دٲنی۔

داتہٕ گرٕ۔ یِتہٕ پوٚنسہٕ ٹوٚنک تران آسہِ۔

داتہٕ گی۔ فیاضی۔

داترِ شکتی۔ ح م:مؤل: داترشکتی< س: داتر+شکتہٕ ]۔ دِنُک توفیق۔ حاجتھ مَندس حاجتھ کڈنُک حوصلہٕ۔

داتھ۔ ن۔ مؤل: دات < س: دھاتہٕ ]۔ا۔ تہٕ یہِ کانہِ اٲندرٕ نیرِ تہٕ یَتھ کانٛہہ چیز بَناونہٕ ییہِ۔ ۲۔ مَنی۔ کام۔ دھات۔

داتھ پکُن/ ژٕلُن۔ سالان آسُن۔

داتھُر۔ مؤل: داتھر ]۔ا۔ کارٕ گر سامانہٕ۔ تِم سارۍ سامانہٕ یِم کارٕ گر استیمال چھِ کران۔ سامانہٕ سوگاتھ۔ ۲۔ (ورگہٕ) سوٗرے سامانہٕ۔ ژھوٚتھ بیترٕ۔

داتھُر وہراوُن۔ا۔ کامہِ کارٕکی چیز پانٛس بروٚنٛہہ کُن اَنُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھۍ) ژھوٚتھ ترٛاوُن۔ چیز بیترٕ بےترتیب پٲٹھۍ چھکرٕنۍ۔

داج۔ ن۔ مؤل: داج< س: دایہ ]سہ گہنہٕ پلَو تہٕ سامان بیترٕ یُس کھاندرٕ وِزِ کورِ مالنٛی سٕتۍ چھِ دِوان۔ وَس تہٕ وَردَن بیترٕ یُس مالنٛی مہرِینہٕ دِوان چھِ۔

داجہٕ لوٚگُن۔ وٕچھو "داج"، لَفظس تل۔

داچھُل۔ ن۔ مؤل: داچھل< س: دھانیہ+چھلہٕ ]تُوتھ دانہِ یُس پیاوِل گاوٕ دِوان چھِ۔

داد۔ ن۔ مؤل: داد< ف: داد]ا۔ انصاف۔ ۲۔ مزٕ۔ لُطف۔ ۳۔ فٔریاد۔ نالہٕ۔ آہ وزاری۔ ۴۔ تاریف۔

کانٛہہ جان کتھ وِچھِتھ یا بوٗزِتھ تَمہِ باپتھ تأرٖیف کَرٕنۍ۔ ۴۔(مُشاعِرَس بیترِ اَندَر) جان شار بوٗزِتھ واہ واہ کَرٕن۔ ۶۔قِصاص۔بَدلہِ۔

دادَس بےٚ داد گُژھن۔ اِنصافہِ بَدَل ظُلم واتُن۔ فأیدٕ واتنہٕ بَدَل نوقصان واتُن۔

دادَس واتُن۔فٔریاد کن تھاوُن۔ ماملہِ سَمجُن۔ اِنصاف کَرُن۔

داد بیداد۔فٔریاد۔بارَو۔

داد بیداد وٕغیرٕ۔پَنُن گدٕرُن باوُن۔پَنٕنۍ سِتَم وٕغیرٕ۔

دادخاہ۔(ل۔م)۔اِنصاف مَنگَن وول۔(ہزلِہ) ظالِم۔ داہ گار۔

داددِین۔۱۔مزٕ ہیوٚن۔لُطف تُلُن۔۲۔قدٕر بوزُن۔ ۳۔مَرحبا کَرُن۔شابَش کَرُن۔

دادرٔسی۔دادَس واتُن۔کتھ یا ماملہِ سَمجِتھ تَتھ علاج کَرُن۔

دادفٔریاد۔اِنصافہِ باپتھ وادیلا۔

دادگر۔اِنصاف کَرَن وول۔سُہ یُس کانٛسہِ دادَس واتہِ۔

داد ہیوٚن۔۱۔مزٕ تُلُن۔لُطف تُلُن۔۲۔قدٕر زانُن (ضِیافُو بیترِ)۔

دادَو۔ن۔مؤل:دادو>س:دھانیہ۔دھا]+یوٗگہ]اَکھ کیٛمی ذاتھ یوسہٕ داں ژھیٛنِس مَنٛز آسان چھےٚ۔

دادِ۔ن۔مؤل:داد>ہ:دادا>س:تاتہ گہ]۔غُنٛڈ۔ زیٹھ ہیوٗ بَد ماش یۄ ڈٕراُنٛڈی۔

دادِ ماملہِ۔لین دین۔وِچھِو "دارِ ہوز" تہٕ۔

دادرا۔ن۔مؤل:دادرا>ہ:دادرا>پراکرت:دَدٕر>س:دَردُر]۔ہِندوستٲنۍ گیوٚنُک اَکھ خاص طٔریقہٕ

دادنی۔>ف:دادنی]۔۱۔پیشگی۔سَے۔(کانٛسہِ کٲرۍ گَرِس یا مِینداس بیترِ)۔۲۔قرضہٕ۔ووزُم رَقَم۔

دارِ۱۔م۔مؤل:دار>س:دھارا]۔دِگنۍ۔چھوٗل (گُنہِ تَرَل چیزٕچ تےٚ ٹأنٛٹھ)۔

دارِ دارِ وَسُن۔۱۔(رُودٕ شیٖن) رٔزو رٔزو پیوٚن۔ ۲۔آب بیترِ پَرٛتھ طَرفہٕ لَرِ جایہِ پیٛڈُن۔ ۳۔دِگنہِ یا ٹھینٛچہِ وَسُن (اوش بیترِ)۔

دارلگنۍ۔دَگنۍ لگنۍ۔ٹھینٛچہِ وَسُن۔جیٚرۍ لگنۍ۔

دارِ۲۔>س:دادڈھیہ] کٕرک یا پلوٗک پھلنٛگ وَق۔

دارِ دور۔کانٛفی مَضبوٗط۔یُس نہٕ سَہَل سَہَل ژھینہِ۔ سُہ پلَو یتھ یٕژ کال نیرِ۔پایدار۔

دار نیرُن۔ژٕرِس کالَس کام دِیُن۔وار یاہ وَق نیرُن۔ (پلَوس، کھوربانَس بیترِ)

دارِ۳۔>ف:دار/س:دارُ]۔تأمیرٕچ لٔکر۔م:دارِکون۔ دارِ کانٛنۍ۔

دارا کمِیوٗ پھاٹوٗکھ، دوپنَس پَنٕنۍ پَنٕنۍ۔تہٕ دٕپتھ گو یُس پَننِو مَنٛز دُشمَن آسہِ تَس نہٕ پۄشِتھ ہیکُن۔

دارُک پۄ۪ن۔۱۔یوسہٕ لٔکر پھالوٕنۍ آسہِ تَمہِ لٔکر ہُنٛد ٹِکٕل۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) پَننِو اَنٛدرۍ دُشمنو مَنٛزٕ کانٛہہ شخص یُس نوقصان یا آزار واتناوِ۔پَنُن

کاںٛہہ سٕہ شخص یُس رازٕس نٔبر گرِ۔ ڈٕمی پھبل۔

دارُو۔ لِکر ہُنٛد۔ لِکرِ ہُنٛد بٔنیُومٕت۔

دار۴۔ ن۔ مؤل: دار <س: دوار] بَر۔ دَرواز۔

دارِ پُوٗز۔ بٔتن ہُنٛد رٕسِم۔ دَروازٕس پُوٗزا ایٖمہِ وِزِلگٕنہِ بزٕ وٕنہہ مَہراِز مَہرِ یٔنی بَرٕس اَڑان چھِہ۔

دار۵۔ ن۔ مؤل: دار <ف: دار]۔ پھٔہہ کُوٗٹ۔

دارٕس کھٔسُن۔ پھٔہہِ کُوٗٹس کھٔسُن۔ شاٗٹھس کھٔسُن۔

دارٕس کھارُن۔ پھٔہہِ دِیُن۔ پھانٛسہِ دِیُن۔

دار۶۔ م۔ مؤل: دار <س: دھارا]۔ ہٕتھی یا رٕچ پیٖن۔ (تیز) ڈٕنٛڈر۔

دار۷۔ ن۔ مؤل: دار <ف: دار=س: دَھر] (کیٚنٛہہ چیز) تھَوَن وول۔ مِ: مالدار۔

دارَن۔ <س: دھارَنہ]۔ پیٖن۔ دار۔

دارَن پھیرِنی / دار پھیرِنی۔ ا۔ ہٕتھی یا رُک بیترِ موٗنٛڈ گرٕھُن۔ ۲۔ پھٔش دار پاس اَ رکس گن گرٕھُن۔ بَرِی شیہِ ہُنٛد پھٔل ہوٗل گرٕھُن۔

دارَن دِنی / دار دِنی۔ کھٔہرن دِنی تیز رٕوُن پیٖن دِنی۔

دارَو۔ ن۔ مؤل: دارو <س: دارو] موٗٹ کُوٗٹ یُس وِرامہِ ٹکھ والنہِ خاطر مکانٕس اَروٕرِ ترٛاوان چھِہ۔ ژٕری کُوٗٹ۔ وِرام۔

دارِ دٕج۔ تمہِ دَجہِ یَمَن اَچھ دااَر بناوان چھِہ۔ شُربن ہٕندی گنٛڈن تماشہِ۔

دارِ جِہ پاٗتھر۔ ا۔ کوربن ہُنٛد گٕڈی نہِ گنٛڈن۔ ۲۔ (ہزلیہ)

شُری باپار۔ گُنہِ سنٛجیٖد کامہِ مسأوی بوزُن۔

دارِ کا۔ م۔ مؤل: دارِکا <س: دوارِ کا۔] (وَرگہ) سبٹھا بٕڈ جاے۔ مَنٛدوٕر۔

دارِ سپبھ۔ اکہِ قِسمُک گُچھ یُس کٔنٛجہِ علاقَن منٛز یِنہِ پاٗٹھی بٔدٕس چھُہ۔

دارِ مَدار۔ <ف: دارمدار]۔ حَسَر۔ بَروسہِ۔ وَسا۔ ڈوکھ۔

دارِنی دارِنی۔ <س: دَھرنی] ا۔ پاٗتھلی پاٗتھلی ۲۔ بانٛبرِ روس۔ رَسہِ رَسہِ۔ م: پکُوِی۔ دارِنی دارِنی۔

دارِ وَن۔ ن۔ مؤل: دارِ وَن <س: دارُ+ وَنہ] سُہ گوٚن جَنٛگل یتہ تاٗمبر باپتھ سبٹھا لکٔر نیرتھ ہیکہِ۔

دارُت۔ ن۔ مؤل: دارت <س: دھارَ+ تَو۔ تِہ یہِ کانٛسہِ دِیُن آسہِ۔ ووزُم۔ قَرضہِ۔

دارُت وُٹُر۔ ہونٛڈ۔ پرٛونوٹ۔ بٔہی کھاتہِ۔ دُکاندارِ سنٛز سورجسٹری یتہ پیٹھ سُہ ووزُم نٕنہِ والین ہُنٛد حِساب لیکھتھ چھُہ تھوان۔

دارُل خِلافہِ، دارُل حوٗکومَتھ۔ <ع: دارُالخلافتہ]۔ راز دأنی۔

دارُن۱۔ ن۔ مؤل: دار <س: دَھارَنہ]۔ ا۔ (کیٚنٛہہ رٔٹنہِ باپتھ) بٕرٕنہہ گنٕہ یا تلہِ گنٕہ تھوٗن۔ م: اتھہِ دارُن۔ ہلم دارُن۔ گن دارُن۔ ۲۔ (مَنٛس منٛز) رٹُن۔ ۳۔ حولہِ آٹھن۔ اتھہِ آٹھن۔ بقلیا آٹھن۔ قَرضہِ آٹھن۔ ۴۔ لاگُن۔ یختیار گرُن۔ م: اِر پھدارُن۔

دارِ ہور۔ ا۔ قَرضُک ہیوٗن دِیُن۔ ۲۔ داس دارُز۔

دارُن ۲۔ا۔پھٹہٕ پھڑ اتہٕ تأمپری لُکر۔۲۔دوسہٕ یٔندرُک اَکھ کوٗن یا گرِتھ لُٹر ۔۳۔اَتھہٕ گرٛ ٹچ تھپھ۔

دارُوٗ۔ حف:دارو ]دَوا۔علاج۔بچاو۔یہٕ لفظ چھُنہٕ اَلگ یِوان بولنہٕ پوٗرِ کاشُر لفظ چھُ دَوادارُوٗ۔

داروغہٕ۔ن۔مؤل:داروغ<:داروغہ]راٗچھ دَر۔حوالہٕ دَر۔پُلسک یاجیلُک بیترِ اَفسر۔تھاندار۔

دارنا۔م۔مؤل:دارنا<س:دھارنا] گُنہٕ پٲٹھ مَن ٹھیکراوُن۔ گُنہٕ پٲٹھ گُل ڈررانٕی۔اِستقلال۔

دارناداری۔(گُنہٕ پٲٹھ)مَن ٹھیکراَوِتھ۔گُل گنٛز راوُن۔ دَرٕڈگرٕنی۔

داس ا،داسہٕ۔ن۔مؤل:داس۔م۔ہ:داسا]۔ا۔کُنٛس پٲٹھ تم لُکر تان یِمن پٲٹھ لَبہٕ کھارنہٕ یِوان چھےٚ۔
۲۔دَرازٕ۔چارچوبہٕ ہُند بوٚنیم گرِتان۔

داس ۲۔ن۔مؤل:داس <س:داسہ ]نوکر۔غولام۔ (وَرگہٕ پأٹھی) بٔھکتی۔عقیدَت مَند۔

داسہٕ باو۔ا۔خدمتھ گاری۔نوکرأزی۔۲۔حلیمی۔ نرمی۔

داس آسُن۔(حلیمی پٲٹھی) نوکر آسُن۔خدمتھ گذار آسُن۔

داسُت۔مؤل:داست <س:داستو ]غولأمی۔ماتحتی۔ خدمتھ گذأری۔

داسُت ہیوٚن۔لاچأری کنٛز کانٛسہٕ ہنٛز ٹہلہ گرٕنی ہینٛز۔

داستان۔م۔مؤل:داستان <ف:داستان ]ا۔زٕٹھ دٔلیل۔۲۔زٕٹھ زاپٲٹھ۔

داس دارز۔لین دین۔ہیوٚن دیُن۔م:حوالی ہتھ تہٕ داس دارز۔

داش۔ن۔مؤل:داش<ف:داشت]۔ا۔ویژھ۔۲۔گذٲر۔

داش نداش۔سورے مال تہٕ جاداد۔سورے سوٚمبر مُت سودمُت سنٛزٕ بتھ۔

داشتہٕ۔م۔مؤل:داشت <ف:داشت ]۔پرٲزنی۔ سوزنانہٕ یوسہٕ کولیہٕ بدَل تھونہٕ ییہ۔زنانہٕ یَس ستیٚ نیتھر روستےٚ کولیہٕ ہُند ہیوٚ ورتاوگری زٕ۔

داغ۔ن۔مؤل:داغ <ف:داغ ]ا۔بدنُما نِشانہٕ۔ بزوٹ۔۲۔(چھوکھ بلنہٕ پتہٕ یا تٕرٛزراوِتھ دزاٚتی بیترِ لاگنہٕ پتہٕ روٗدمُت) آکھ۔۲۔بدنٕس پٲٹھ کانٛہہ قودرٕتی نِشانہٕ یا خال بیترِ۔۴۔موٗس بیترِ وُسی پینہٕ ستیٚ لوٚگمُت ہوژنک غَم۔کانٛسہٕ ہنٛزِ جُدأیی بیترِ ہُند غَم۔چھوکھ۔۲۔ناوَس وٕٹہٕ۔ بدنأمی۔تیُتھ کیٚنٛہہ ییمہٕ ستیٚ بُتھ دیُن لایق روٗزِ نہٕ۔

داغل۔وِچھو ''داغدار''

داغ لانٛتھ۔بدنأمی ہُند داغ۔

داغہٕ وُن۔ا۔زَخم یا چھوکھ دیُن۔تُتیٚ دزاٚتی یا سیخ لاگنٕی۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)حسابَس چارُن۔ لیکھُن۔دَرٕج کرُن۔

داغ اَڑُن۔ا۔ٹیچ لگنٕی۔نِشانہٕ پیوٚن۔چھوکھ لگُن۔

۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)موٗس دوز جار کھٔسُن ہیٚوٗن۔

داغ تھوُ ن۔(وَرگہٕ) تیُتھ کینٛہہ کرُن یتھ نہٕ سُہ بُتھ دیُن لایق روزِ۔

داغدار۔مؤل: داغدار <ف: داغدار]۔۱۔یتھ داغ پیٚمتۍ آسَن۔یتھ چھٹھ کھوٗرمژ آسہِ (موٗس بیترِ)

۲۔بَد نام تہٕ بزگار۔

داغ دِتھ گژھُن۔کانٛہہ پتھ کُن ترٛاوِتھ مرُن۔ ترٛاوِتھ ژلُن۔

داغ دیُن۔۱۔ٹیچہ ترٛاونہٕ۔بزأڑی والنۍ۔چھٹل بناوُن۔

۲۔چاروأیس کُنہِ تانس تٔتۍ دزأتۍ لاگنۍ۔

۳۔نِشانہٕ تھاوُن۔

داغ روزُن۔۱۔چھلنہٕ پتہٕ تہٕ نِشانہٕ روزُن۔۲۔کانٛسہِ ٹأٹھی ہِندِ مرنہٕ دِلس وَتھ گژھُن۔۳۔بدنأمی نہٕ ژلنۍ۔

داغ زَد۔۱۔یَس داغ لوٗگمُت آسہِ۔بدنام تہٕ بزگار۔

۲۔دأغی۔

داغ کرُن۔۱۔داتو کانٛہہ چیز تٔورأوِتھ آبَس بیترِ منٛز ترٛاوُن یا تمہِ سٟتۍ ژھٔنۍ کرُن۔۲۔تٔورأوِتھ وزوٗت یا سیخ لاگُن۔(پرٕزِناونہٕ بیترِ باپتھ)۔

داغ لگُن۔۱۔بزوٗٹ بیترِ پینہٕ سٟتۍ بدنُما نِشانہٕ لگُن۔

۲۔ہوژنگ نِشانہٕ لگُن۔۳۔بدنام گژھُن۔

۴۔مرگہٕ بیترِ سٟتۍ افسوٗس روزُن۔

داغ لٲلہٕ وُن۔بدنأمی ہُند کرٕ کھر پیتراوُن۔

داغونہٕ آمُت۔۱۔یتھ موہر آسہِ پیمژ۔۲۔تہٕ یہ کانٛسہِ ہِندِس ناوَس ترٛاونہٕ آسہِ آمُت۔درٕج کوٚرمُت۔

۳۔دزاتہٕ سٟتۍ داغ بیترِ کوٚرمُت۔

داغ ہیٚوٗن۔۱۔کانٛہہ کتھ أندری رٔٹنۍ۔دود یا غم پیتراوُن۔کانٛسہِ ہُند ماتم ہیٚوٗن۔۲۔کُنہِ پلوٗس پیوٗمُت داغ صاف کرنہٕ خأطرٕ لوٗنٛتھ ییٚنۍ۔داغ چھلُن یا ٹلُن۔

دأغی۔۱۔یتھ داغ آسَن لٔگمتۍ۔یہ بزأڑی بیترِ پینہٕ سٟتۍ بدنُما آسہِ گوٚمُت۔۲۔موٚہ بیترِ۔یتھ ہوژنٕکۍ نِشانہٕ آسَن۔

دال۔مؤل: دال <س: دالہٕ]۔۱۔موٗنگ۔مُسُر۔راژ ماہہٕ بیترِ ہٕمَن ہِندۍ پھلۍ یِم رٔنٛتھ ییٚنہٕ پٔژھۍ کھیوان چھہِ۔

۲۔رٔنٛتھ۔توٗتھ یا ٹلٕتھ دالہِ پھلۍ۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھی) کُنہِ کھینہٕ چیزس زیادٕ پاکھ یا گٔس لگنہٕ سٟتۍ (گوٚمُت) وُگرٕ ہیو۔کُنہِ پھلَس ژٔرۍ دوگ لگنہٕ سٟتۍ گوٚمُت چوٗرٕ۔

دالہِ دَگُن۔داہ باہ گرٕ ہا تام زیوٗتھ ژھوٚٹہٕ ییٚمہٕ سٟتۍ دال گیٚہان یا دَگان چھہِ۔

دالہِ ڈٔس۔۱۔دالہِ گٔس دِنٛگ ژھوٚٹہٕ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) سُہ شخص یُس ہیٚتھ کھیٚیہِ۔

دال پکنۍ۔(وَرگہٕ)وبرُن۔ہمتھ ہارٕنۍ۔کوٚتھی پھٹنۍ۔

دال ترٛاوٕنۍ۔ترٛنگہٕ پینہٕ۔لبڈُن۔ہمتھ نہٕ روزٕنۍ۔

وبرُن۔کھوڑُن۔
دال پَچِس کھسنٕز۔سبزٕ رگوٗھن۔بامُل ین۔چلُن
۔پکُن۔لول بجائُن۔
دال گوٗھنٕز۔ا۔سبُن۔رلُن۔وگرِ گوٗھن۔۲۔ریزٕ
ریزٕ گوٗھن۔سیٖر ہیوٚ گوٗھن۔
دال گلنٕز۔(ورگہٕ) کانٛسہٕ نِشہٕ مطلب نیرُن۔پکُن
پانٛے اَسُن۔
دال وبرِنٕز۔(خوفہٕ یاوٕ ہمہٕ ستی) گابرُن۔بانٛبرُن۔
دالو۔گالو۔ناوٕ ہُنٛد ڈمب۔
دالہٕ۔ن۔موٗل:دال:س <س:دارٕ]۔ا۔پکھُن ہنٛز ژٕم
یاسُلہٕ۔کھل۔۲۔چمرٕ۔سہٕ چمرٕ یُس کھوربانن
بیترِ لگان چھُ۔
دالہٕ ڈوکراوُن۔(ورگہٕ) کامہٕ ہُنٛد سخ بارتراوُن۔
پرٛنہٕ پیٹھی کام کرناوُن۔کامہٕ ستی کمرس ڈوکھ
ژانٛنٕز۔
دالہٕ وسُن۔(ورگہٕ پاٹھی) سخ منٛجہ تھ پیٚنٕز۔
دالہٕ والُن۔ا۔مُسلہٕ والُن۔ژٕم ماز نِشہٕ علاحِد کرِنی۔
۲۔(ورگہٕ پاٹھی) عذاب کرُن۔کام کرناوِتھ
کانٛسہٕ حال ہوش نہٕ تھوُن۔
دال باچھ۔<ع:دال+س:بھاشا]۔پتھٕ اُرٕ کٔنڈ سہٕ
کاکدفرِ دیتھ پتھ اَسامہٕ وار مالٕکی یک تفصیل
درٕج چھُ آسان۔
دال چیٖنی۔م۔موٗل:دال چیٖنی <س:دارُ+چیٖنی یا۔
م:ہ۔دال چیٖنی]۔اکہٕ کلنیٛک دبل۔یتھ اَکھ خاص
خوشبوٗ چھےٚ آسان یہٕ چھُ مصالہٕ بدَل اِگان۔
دام اِ۔ن۔موٗل:دام <س:دھے]۔ا۔پوٚت گلِس واتہٕ
(ترٛیش یا دودٕ بیترِ) کینٛہہ چنگ گوٗل۔۲۔بہٕ
بیترِ ژٕہہ(دودٕ چنہٕ باپتھ)۔۳۔شاہہٕ ستی ترٛل
چیزٕ اَسس منٛز کھارتھ ہٮ۪ٹہٕ والُن۔۴۔(تمانٛ کس
یاسگریٹس بیترِ دِنہٕ آمُت) کش۔سوٗٹھ۔
دامہٕ چوٚن۔وٕٹھن ستی بیترِ لارِتھ چوٚن۔(دودٕ یا
آب بیترِ) دام دِتھ چوٚن۔تھلہٕ نہٕ چوٚن۔
دلمہٕ دلمہٕ۔گلہٕ گلہٕ۔گوٗل گوٗل کرِتھ۔اکہٕ اکہٕ دلمہٕ۔
دام چوٚن۔کنیک گوٗل چوٚن(خاصکرِتھ شرابک)۔
دام دیُن۔ا۔ژٕہہ دیُن۔۲۔گرٕ وٕٹھ گرٕ وٕٹھ کران
چوٚن۔اَکی شاہہٕ چوٚن۔۳۔کُنہٕ چیزس شاہہٕ
ستی پانٛس کُن لمُن۔۴۔تمانٛ کس بیترِ کش ہیوٚن۔
۵۔ین بیترِ پانٛس کُن پھرُن۔
دام گنٛڈن۔تھکہٕ روس چوٚن۔گرٕ وٕٹھ گرٕ وٕٹھ کران۔
چوٚن۔یکہٕ سان چوٚن(ترٛیش یابیہٕ کانٛہہ ترٛل
ماد بیترِ)۔
دام لگُن۔ا۔کُنہٕ ترٛل مادس وسوٗنس یا لمہٕ وِنس
کُن وتھ لگنٕز۔ژٕہہ لگُن۔۲۔تتھ پاٹھی خرٕچ
گوٗھن۔یتھ موکلنس پتھ واتہٕ
دام ہیوٚن۔سگریٹھ یا تموک چوٚن۔سگریٹس یا
جٔجہِ بیترِ کش ہیوٚن۔

دام۲ ن۔مۆل<ف:دام/س:دامَن ]۔زال۔والہِ وأش۔رَٹنُک ژھل۔

دام تراوُن۔زال وَہراوُن۔والہِ وأش لاگنی۔

دام۳ ن۔مۆل:دام<س:دھلمہ ]۔ا۔روزَن جاے۔ مَکانہِ۔۲۔سورِگ۔م:پرمہِ دام۔

دامَن۔ن۔مۆل:دامن<ف:دامَن]۔دامنہِ۔دامانہِ۔ دامَن گَدأیی کَرنی۔کأنسہِ ہنزِ ویرِ بچھ اَنُن۔ دامَن گیر۔یُس دامانہِ رَٹہِ۔یُس کُنہِ ظٲلمَس خلاف آوازتُلہِ۔فِرِی یادکَرَن وول۔زارِ پارکَرَن وول۔

داماد۔ن۔مۆل:داماد<ف:داماد]۔زامٕتُر۔

دامٕنی۔اَکہِ قِسمُک وَس یُس ڈٕکَس تراوان چھِ یاپلَوَن بیترِ دامنَس تَل لاگان چھِ۔م:ڈکہٕ دامٕنی۔

دامٕنی دامٕنی۔<ف:دامن]۔ا۔بالَس بیترِ بۄنی بۄنی۔ لامٕنی لامٕنی۔۲۔(کھَسِ بیترِ)یپأری یپأری بیرِ آسہِ۔ژمینہِ ہٕندِ نیاسہِ طَرفہِ۔

دامبُر۔ن۔مۆل:دامبر<س:دھانہ+دواک]ا۔دان۔ ۲۔گُجہِ بزۄنٛتھ کُنہِ وُٹھ سوجاے۔یمہِ پیٹھ ہُردِنہِ یِوان چھے۔

دامنہِ،دامانہِ۔ن۔مۆل:دامَن،دامان<ف:دامن/ دامان]۔ا۔نألِہ پلۄک بجر اُوتھ اَنٛد یُس بون کُن اَلوند چھُ روزان۔۲۔بالُک یا وُڈٕرِ بیترِ ہُنٛد بۄنیم حِصہٕ۔بالُک دامٕنی دارحصہٕ۔۳۔ہلَم۔ ۴۔(ڈورِ بیترِ چ)بیر۔

دامانہِ بوڈُن۔ہانٛژھ لگٕنی۔توہَمتھ کھسٕنی۔

دامانہِ چھلُن۔(وَرگہِ)ہانٛژھ لاگنی۔غأبتھ کَرنی۔

دامانہِ دأری،دامَن دأری۔ا۔دامانَس تھپھ کَرنی۔زارِ پار کَرُن۔۲۔(وَرگہِ پأٹھی)نیٚتھر مَنٛگُن۔کورِ مانٛگیہ گۄوھن۔

دامانہِ رَٹُن۔ا۔دامانَس تھپھ کَرنی۔۲۔(وَرگہِ پأٹھی) زارِ پار کَرُن۔منٛو کَرنہِ۔مأنی مَنٛگنی۔۳۔کأنسہِ ہُنٛد ڈوکھ ژھانٛڈُن۔

دامانہِ وَٹُن۔ا۔مُرہیٚو رُکُن پھِرتھ تھوٕنی یِتھنہِ بَرنہِ پیہِ۔۲۔(وَرگہِ پأٹھی)کُنہِ نِشہِ لوٗب ہیٚوَن (یِتھنہِ پھٕسہِ)۔

دامنَس پیٹھ نِماز تٕنی۔تہِ ڈٕتھ گو پاکھ آسُن۔ بےٚ گوناہ آسُن۔

دامنَس تھپھ ژھٕنی۔فِرِی یادکَرُن۔

دامنَس میٹھی دِنی۔عقیدتھ آسنہِ کِنِ سبٹھا یزتھ کَرُن۔

دامنہِ پھیٚر کَرُن۔وِچھو"دستاربدلاوُن۔"

دامنہِ دار۔نألِہ پلۄک بۄنہِ کأم کَرِتھ دامانہِ۔یُہ نألِہ پلَو یِتھ مُرس بۄنہِ کُنہِ حأشیہ آسہِ۔یِتھ دامٕنی جُرتھ آسہِ۔

دان ا۔ن۔مۆل:دان<س:دھانہ]۔سیرِ بن یا میٚژِ بیترِ ہُنٛد بنومُت چۄلہِ یِتھ اَکہِ کھوتہِ زیادٕ ژٲر آسَن۔

دانٛس پیٚوِی تَن پانٛس کھیٚے تَن۔تہِ ڈٕتھ گوپَنہِ

جایہِ اُسی تَن بجا، اَسہِ کیٛت اُسی تَن ہیٚوت یامتہٕ اُسی تَن (یہِ چھےٚ اٰہی)

دانہٕ بُٹھ۔ا۔دانٕس برٛونٛہہ گنہِ لوٚکٹ پٔینڈ ہش۔ ۲۔دانہٕ کہِ گلٛیک پیٛٹھِم حصہٕ۔

دانہٕ بیٚون تہٕ پانہٕ بیٚون۔تہِ ڈیٖتھ گوٚیُس کھٔنٛبَس چٔنٛس الگ وِزٕ اوتَس چھنہٕ پتہٕ باقے گرباٗژَن ہنٛز ژٕرہمدردی روزان۔م:بتہٕ بیٚون گورتہٕ بیٚون۔

دانہٕ ڈاکھ۔دانہٕ کہِ جوشہٕ ستی ووزلیموٗ میٖوٗ۔

دانہٕ زَنگ۔نوٗ دانگ شوٗگوٚن یُس دان بَناوَن وأٖلِس یا گوڈٕ ہوَن وأٖلِس دِوان چھےٚ۔

دانہٕ ژور۔دانگ گگ۔یتھ پٹھ بانہٕ چھِ لاگان تہٕ یِیمہٕ کنٛز ریٛہہ کھسان چھےٚ۔

دانہٕ گَج۔دانگ گوٚل۔یَبأرٕ زیٖن ہیترِ لاگان چھِ۔دانٕس نار تیٚبر کڈِنہٕ وَتھ۔

دانہٕ گوٚل۔وِچھو" دانہٕ گَج"۔

دانہٕ مہر۔(ہزلہِ)۔بوٚڈ دان۔(یہِ چھِ کھٔنٛبَس پیٹھ زیادٕ خرچ گوٚھنہٕ کنٛز دزن دادِ وَننہٕ یِوان) م: دانہٕ مپرَن کھیےٚ کاٗتیاہ جانہٕ مہر۔

دانہٕ مپرَن کھیےٚ کم جانہٕ میر۔(ہزلہ) لنگر چلاوان چلاوان چھِ کاٗتیاہ پھاٗنکرِ گوٚھان۔

دان گرُن۔دان بناوٗن۔

دان۲۔ن۔موٗل: دان>س: دانہ]۔خاٗراتھ۔بخشاٗیش (یہِ بیٚچھِ وِنس ہیترِ چھِ دِوان) دیہِ سنٛدی ناٗدی دیٖتُمت کیٛنژھا۔تہِ یہِ بخشنہٕ یِیہِ۔دَرمس دیُن۔

دان دیُن۔خاٗراتھ دیُن۔موجتاجَن تہٕ ضوٚرٕ رٕتھ مَنٛدَن اَتھ روٹ گرُن۔

دان گرُن۔ا۔وِچھو دان دیُن۔۲۔دان بَناوٗن۔

دانو۔ن۔موٗل: دانو>س: دانو]۔دیٛتَن ہنٛز اکھ ذاتھ۔

دانےٚ۔م۔موٗل: دانے>س: دانہ]۔تیٚرن ہنٛد مالٕہ یہِ۔

دانا۔>ف: دانا] گاٹُل۔عقلمنٛد۔

دانایہِ دَہر۔دُنی یِہُک گاٹُل۔تیٚوت عقلمنٛد زِ جورٕ آسبس نہٕ۔

داٗنایی۔گاٹہٕ جار۔عقل مَنٛدی۔بوٗزٕ شوٗژ۔

دانہِ۔ن۔موٗل: دانٛ>س: دھانیہ]۔اکہِ قسمُک اَناج یتھ توٗمُل نیران چھُ۔

دانہٕ پانہٕ تٕرُن۔واٗتُر دانہٕ آبہِ پیٛٹھی پیٚون۔

داں پھِٹچ۔چھومبہٕ متہٕ دانیٛک لوٚکُٹ اَمبار۔داں ڈیر۔

داں دَل۔دانٛچ سوگوڈنٛچ دوگہٕ اَتھوار یِیمہٕ ستی کھانٛچہٕ نیران چھُ۔

داں ڈَکھ۔داں روٗب۔تَم داں گلی یِم اکھاٗ کِس ستی ستی اکھ سے جایہِ آسَن۔

داں ڈَل۔ا۔بوٚڈ زٔمینہٕ ژٔکل یتھ اَنٛدرِ وَنٛد دانہٕ آسہِ وَونہٕ آمت۔زٔمینہٕ پٹ یتھ اکہِ اَنٛد پیٹھ بیٚیس اَنٛدس تام داں فصل آسہِ۔۲۔داں فصل یُس جلان آسہِ۔۳۔برٕی برٕی داں کھاہ۔

داں زٔمین۔سوٗ زٔمین یتھ منٛز دانہٕ وَوان چھِ۔

اُبی زٔمین۔

داں کھوٗر۔ا۔دانٛس باہ لاوٕ کی ۲۔تیٚوٗت زٔمین
یتھ اکھ کھوٗر دانہِ ووتھِ۔

داں گوٗنی۔داں لاوٕن ہنٛز بناوٕمٕژ گول بنہِ یتھ
ژٔوک کھوٗل تہٕ ٹوٗپ ڈٕنتھ چھُ آسان۔داں
لاوٕن ہنٛز بناوٕمٕژ قنٛدِ چالہِ بنہِ۔

داں گیٖڈ۔گنٛڈِتھ داں لاوٕن ہنٛد اکھ بور۔

داں لاےا۔سوتراے یور گن داں ہیٚوٗل آسہِ نٔمِشوٗمت۔

داں لاے۲۔وَزناوٕی مٕتس دانٛس توٗنہٕ ستی پھولمُت
توٗمُل۔

داں لیٖدر/ دانہِ لیٖدر۔گگر گنٛڈی زَنٛڈُک موٗل یُس
لیٚوٗ دُرا آسان چھُ۔اکھ دَواز اتھ۔

داں مشین۔دانہِ مُنہٕ نچ مشین۔

داں وُش، داں ووش۔اکہِ ژٕپہٕ ہنٛدِ کھٕچر لوٗنی لوٗنی
ترٛ وومُت دانہِ۔

داں ہیٚوٗل۔سُہ پوٚش یُس داں گُلس چھُ نیران تہٕ
یتھ پتہٕ چھر کھٕسِتھ پھٔلی چھِ بنان۔

دانہِ دانہِ۔موٗل:داں حف:دانہ س:دھلنہٕ]۔ا۔رَژٕ رَژٕ۔
پیٚنٛتہٕ پیٚنٛتہٕ۔یتھ گن کیٚنٛہ ترٛاونہٕ روٗس۔

دانہِ وَل۔ن۔موٗل:دانہِ وَل (دھانیہ+وَلہِ) اکھ
بوٗٹی ییٚمیُک بیٚول سٕنٛس مَصالہِ گنہِ لگان چھُ۔
اَتھ چھےٚ اکھ خاص خوشبوٗ آسان۔

دانٛہِ۔ن۔موٗل:داں حف:دانہ/س:دھانہ ]ا۔پھوٗل۔
رَژھ۔پیٚوٗنٛت۔ذٕر۔۲۔بیٚول۔۳۔اَناج۔کھینٛ
خورٕدنی۔پھٔل۔۴۔گرٕی ہنٛز نِہاُرٕ۔اردلہِ
بیتر۔۵۔نیٚک پھٕٹھٕر۔گری دانہِ۔۶۔ملہِ پھوٗل۔
۷۔گنہِ لوکٕٹہِ چیزُک اکھ (عَدد)۔

دانہِ ترٛاوُن۔جاناوارَن کوٗ کرَن بیترِ پھَل ترٛاوُن۔

دانہِ دار۔یتھ دانہِ آسَن۔پھٔلی دار۔سُہ فصل یتھ
وٕتھی پھٔلی آسَن۔

دانہِ دانہِ۔اکھ اکھ پھوٗل۔سوٗرے۔پھٔلہِ پھٔلہِ۔
یتھ تہٕ گنہِ رَنٛگہٕ کیٚنٛہ ترٛاونہٕ پیِہ۔

دانہِ دیُن۔گرِس بیترِ نِہاُرٕ دِنی۔

دانہِ سورٕنی/ موٗکلنی۔(وَرگہِ) مَرُن۔پٔنٕنہٕ وَتہٕ گژھُن۔

داں پَن۔ن۔موٗل: داں پوٗن۔م۔ہ: داں پُن > س:
دانہ+پُنٛیہ]۔خاُراتھ۔صدقہٕ۔

دانٛد۔ن۔موٗل: دانٛد > س: دانتہٕ]۔گاوٕ ہنٛد نَر جورٕ۔

دانٛدِ باٹھا۔دانٛدِ گاڑٕ وول۔یُس دانٛدس لٔدِتھ بور سارٕ۔

دانٛدِ باٹھ۲۔دانٛدِ بڑٕ اُٹھ۔

دانٛدِ بڑٕ اُٹھ۔سرٕ نٔژ ہیٚوٗ مُڑٕ اِنسان۔

دانٛدِ پھُن۔ا۔دانٛدِ پڑرَن تل کانٛہہ فصل بیترِ
چھومبہٕ وُن۔گہہ دیُن۔۲۔بیٚہوال دانٛدس
دانہِ پگناونہٕ باپتھ تُس روٗ نکھس بیترِ کلہِ دِنہِ۔
۳۔(وَرگہِ پاٹھی) کانٛہہ بیٚہوال زیرٕ دی دی
ٹُلُن (کامہِ باپتھ) ترٛنگ ترٛنگ دیُن۔

دانٛدِ پھراٹھ/ دانٛدِ پھرٛ وٹ۔آلُک ووے مُت

اَکھ چکَر۔ اکہِ بانہٕ سٟتۍ لجمژ اکہِ رٕکھ۔ داند وایِنہٕ باپتھ ژٕمپٔنس اکہِ اَندٕ پیٹھ بیٚنس اَندس تام اکہِ بانہٕ سٟتۍ نشانہٕ بیترٕ باپتھ گوڈنٛج رٕکھ۔

دانٛدٕ ٹھنٛگ۔ سُہ بنہٕ وُن چیز۔ م: دانٛدٕ گرُس۔

دانٛدٕ جوٗرۍ۔ زٕ داند۔ دانٛدٕ ہور۔ قدٕ تہٕ وِستارٕ کِنۍ برابر زٕ داند یم یکہٕ وٹہٕ وانہِ لاگنہٕ آسن آمتۍ۔

دانٛدٕ کلہٕ۔ سُہ شخص یُس سِہزٕ گتھ تہٕ فکرٕ ترٕنہٕ۔ بے ووقوف۔ اَحمق۔ مُڈٕ۔

داند کھڑاو۔ اڈٕ گرٕ مُڈٕ گرٕ تھزٕ کھڑاو۔

دانٛدٕ گرُس۔ سُہ چیز یُس بنہٕ وُن آسہٕ نہٕ۔

دانٛدٕ لیوٗٹھ/لیوٗنٹھ۔ اکہِ قسمک جنگلی گُل یتھ وُتھر بٔڈۍ آسان چھ تہٕ یُس دلنٛدٕ ن ترٛاولتہٕ چھہٕ۔

دانٛدٕ موٗرٕ سونٛچ لوٗر۔ کٔزٕل بیترٕ یٟمہٕ سٟتۍ وانہِ دلنٛدٕ ن ہکھی گران چھہٕ۔

دانٛدٕ ہوٗر، ہوٗرٕ۔ ہوورٕ، ہور۔ ۱۔ زٕ داند یم یکہٕ وٹہٕ وانہِ آسن پکان۔ دانٛدٕ جوٗرۍ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) ژورترٕکھ زٕمٟن (یہِ مانے چھُ کُنٛجہِ علاقن منٛز مُرَوَج)۔

دانٛدٕ ہاکھ۔ اَکھ وٟسنۍ سبزی۔ یٟمکۍ وُتھر دوپٕل ہاگس ہوی آسان چھہٕ۔

داند ترٛاوٕنۍ۔ ۱۔ ولنہِ تلہٕ دانٛدٕ ہوٗریلہٕ ترٛاوٕنۍ داند وانٛنۍ بنٛد گرُن۔ ۲۔ بزیشہٕ آمژ گاو داند لاگنۍ۔ ۳۔ داند کانٛسہِ ہنٛدِس ژٕمپٔنس یا دَجہِ بیترٕ کھنہٕ باپتھ ترٛاوٕنۍ۔

داند کڈٕنۍ۔ زمین وایِنہٕ باپتھ داند تہٕ اکہِ بأنۍ ہیتھ کھُہس پیٹھ نیرُن۔ (وَرگہٕ پأٹھی) زمینٛد آری شوٗرٕ ڈٕ گرٕنۍ۔

داند وانٛنۍ۔ ۱۔ اَلبانہٕ سٟتۍ زمین پھرُن۔ زمین آلہٕ کڈُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) تباہ گرُن۔ بیخ گالنۍ۔ لُرٕ پار گرُن۔

داند واوِتھ ترٛاوُن۔ مُہتھ تہٕ مُچھتھ ترٛاوُن۔ سورُے نیٚن۔ گشٕرٕ نم نہٕ تھاوٕنۍ۔

داند وأیتھ تھاوُن۔ میژٕ وُپرأوِتھ تھاوٕنۍ۔ زمینہٕ تلہٕ سورُے نوٗن کڈُن۔ (دبوومُت کانٛہہ چیز بیترٕ) ہُدٕ دِتھ کڈُن۔

داند ہیوٗ۔ ملہٕ نکھہِ پوٗٹھہٕ زٕ عقلہٕ موٗٹ۔ بزیٹھ۔

دأنٛدی کھیٚنہٕ پنٛژ پنٛژٕ کھیٚین منٛدرج۔ ل۔ م۔

دانٛدس چھےٚ گنہٕ گنہٕ وایِنہٕ وِزِ بچاوٕ باپتھ پنٛژ یوان پیٹھ ترٛاونہٕ۔ سُہ اگر سوے کھیٚنہٕ پانس واتنس پٕداہ۔ تہٕ دٕپتھ گو تیتھ کانٛہہ حرکتھ گرٕنۍ یٟمہٕ سٟتۍ تمہٕ نشہٕ گژھہ یتھ پیٹھ تٔس دارٕ مدار آسہٕ۔

دلنٛدٕرٕ۔ ن۔ موٗل: دلندر] ۱۔ سبزۍ یہٕ دوہ پداوُن وول۔ آرم۔ ۲۔ موٗتہٕ سبزی بیترٕ کنٕن وول۔ سبزی فروش۔

دلنٛدرٕ رنٛج۔ مُجہِ ہُنٛد اَکھ قسم۔

دانٛدرٕ ہاکھ۔ آرم ہاکھ۔ ہاکھ یُس خوشکس کھسان

چھُہ۔ مُ: ڈٔل ہا کھ۔

داڈد رینٛز۔ داڈد رِ سٕز زنانہٕ۔ سوزنانہٕ یُس داڈد رکار گران آسہِ۔ آرمینٛز یوس سبزی آسہِ کنان۔

داوا۱۔م۔مؤل: داو]۔ تیٚوٗت پَن یُوت ہٮ۪ہ اکہِ پھر تأرِ زِ۔ نأر۔ نأج۔ رَگہٕ۔ أند رِمہٕ تار۔

داوِداوِ۔ پَنہٕ پَنہٕ گرُن (پَلَو ہیتھ)۔ پُز پار گرِتھ تراوُن (کُنتِھ پھمبس ییٚرُس ہیتھ)۔

داوِ گلنہٕ۔(وَرگہٕ) کمزور گوٚژھُن۔ ہَنہٕ ہَنہٕ گلُن۔ پَنہٕ پَنہٕ گژھُن۔

داو۲۔ن۔مؤل: داو >ف: داو]۔ گِندنُچ پٔنٛز وأری۔ وِڈ۔ باز۔۲۔(زارَس ہیتھ منٛز) اَکھ چال۔ شَرط۔ بَے۔۳۔ کتھ ہیتھ واتناوُنس موقہٕ۔

داوَس بِہُن۔ ۱۔ بَے بِہُن۔ شَرط لگاوُن۔۲۔ تِتھِس شَرطَس بِہُن ییٚتہِ سورُے راونک خطرٕ آسہِ۔

داوَس لگُن۔(وَرگہٕ) تِتھِ پأٹھی کُنہِ منٛز ہنہٕ ییٚن یِتھ موکلُن پاے آسہِ نہٕ۔ رٕکھ پٮ۪ٹھ لگُن۔

داوَس لاگُن۔ کُنہِ تِتھ مامَلَس منٛز پھساوُن ییٚمہٕ منٛز پٮ۪تھ ہمٕبِس دار آسہِ نہٕ۔ تِتھہ حالتھ گرِنی یُتھ نہٕ کلہٕ پھرنس وارٕ کھی زِ۔ رٕکھ پٮ۪ٹھ لاگُن۔

داوَس لوٚگمُت۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔ ہنہٕ آمُت۔ سُہ یُس مُشکِلَس منٛز پھسیومُت آسہِ۔ پیچَس لَدرآمُت۔

داوِ ہَر۔ اوُرِ یور ہاژِ ہاژھ لاگنی۔

داو ییٚتھ کتھ تہٕ چھاو ییٚتھ بتہٕ۔ تہٕ ڈیٚتھ گو پژتھ

کانٛہہ کتھ یا کأم چھےٚ پٮ۪نس موقَس پٮ۪ٹھے شوٗبان،

داوٮ۪ن۔۱۔ موقہٕ واتُن (کتھ ہیتھ واتناوُنس)۔۲۔ وأری ییٚنٛز۔ وِزِ واتٕنی۔

داوَتھ۔م۔مؤل: داوت >ع: دعوت]سال۔ پُوٚھی لأز۔ کُنہِ کامہٕ منٛز حِصہٕ نِنہٕ باپتھ وَنُن۔

داوَتھ نامہٕ۔ روقہٕ۔ سالہٕ کاڈ۔ سالہٕ چِٹھ۔

داوا۔ن۔مؤل: داوا >ع: دعویٰ]۱۔ حَق۔ یختیار۔ توَقع۔ ۲۔(عدالتُس منٛز) مُقدمہٕ۔

داوا آسُن۔ حَق آسُن۔ یختیار آسُن۔ توَقع آسُن۔

داوا بوزُن۔۱۔ کأنٛسہِ ہنٛز پُژ کتھ کَن تھاوُن۔ ۲۔ مُقدمہٕ بوزُن۔۳۔ کأنٛسہِ یا کُنہِ پٮ۪ٹھ یختیار زانُن۔ مِ: نے بُہ زِ داواتہٕ آس یُوت روزنہٕ۔

داوا تھاوُن۔ یختیار آسُن (کُنہِ چیزَس پٮ۪ٹھ)۔

داوادار۔۱۔ سُہ یُس کُنہِ پٮ۪ٹھ حَق آسہِ۔۲۔ سُہ یٮ۪سُند حَق کأنٛسہِ پٮ۪ٹھ جأیز آسہِ۔۳۔ یختیارٕ وول۔ مِ: روٗشن گوٚو داوادارَن ییٚم ناوَن گرناوَن سأل۔ ۳۔ سُہ یٮ۪سُندی بأری آسُن (دوٚیمِس دُنٛی یا ہمَس منٛز)۔ مِ: داوادارٕ ہو روزِ ے۔ پوشے مَتہٕ جانانو۔

داوا گرُن۔ پَنُن حَق منگُن۔ پَنُن حَق مأنٛز راونہٕ خأطرٕ عدالتَس گوٚژھُن۔ مُقدمہٕ گرُن۔

داوا گیٖر۔ پُژ ژھ گأر گرناوَن وول۔ بأری مَتہٕ تھاوَن وول (خاص گرِتھ) دوٚیمِس دُنٛی ییٚمِس پٮ۪ٹھ۔

داوٗک۔ن۔مؤل: داوٗک >س: داوَکہٕ]۔ داو یُس

کھٔہن آب ژٕہتھ نوان چھُ ۔ یِمہٕ کٔنہ نہٕ
بۄن گوٗھان چھُ ۔

داوُن ۔ دِنہٕ ناوُن ۔ م: داوِنۍ ۔

داو پیچ ۔ ن ۔ مؤل: داو پیچ <ف: داو پیچ ] ۔ دَبدَبہٕ ہُنٛد
ژَھل ۔ بازِ چ چال ۔

داہ ۱ دَہ ۔ مؤل: داہ <س: دَشہ = پرٛاکرت: دَسہٕ ۔ ف
: دہ ] ۔ نَو تہٕ اَکھ ۔ وچھو "دَہ" تہٕ ۔

دٔہن تھاوان سۭے اَکِس نہٕ ترٛاوان وَے ۔ تَس
مُتلِق وَنان یُس واریاہَن کامن اَتھ ژٕھنہٕ
تہٕ اَنٛد ہیکہٕ نہٕ اَکھ تہٕ واتنٲوِتھ ۔

دٔہن داہ مَن چھونَن نہٕ کُنِس مَنٛٹ پوشہٕ نہٕ ۔
تہٕ دُپتھ گو یکہٕ وَٹہٕ روٗزِتھ اگر دٔہن زنَن
کٔیت کانٛہہ چیز رِنوتَمہٕ منٛز ہکَن بیٚہہ زٕژنۍ تہٕ
ہرتھ پوٗزا اگر اَکی زٕنۍ پٔتھے یوت حِصہٕ روٗزِت
آسِہ تَس بیہہ نہٕ کُنِس پانِس تہٕ برابٔری ۔

دَہہٕ وہرِ دَشہِ ہار ۔ یِتھ کانٛہہ گتھ یوسہٕ خال بَنہٕ یا
سَپد ۔

داہ چھِ دوس تہٕ داہ چھُ دُشمَن ۔ تہٕ دُپتھ گو زِ پرٛتھ
ماہلِس منٛز چھےٚ خبَر دار رُوزٕنۍ ضروٗر رٔتھ تہٕ
کیاز ِسارۍ لُوکھ چھِنہٕ ہمدرد آسان ۔

داہ دَرداہ ۔ ۱ ۔ کٲنۍ ۔ ژور ۔ واریاہ ۔ سبٹھا ۔ پزِ کھوتہٕ ژور ۔
۲ ۔ دلہٕ گوٗن داہ ۔ ۳ ۔ تیٚوٗت آب یُوٗت تٔتھ
تلادَس ولتہٕ ۔ یَتھ زِیچھر ۔ کھٔجرتہٕ سٔنبر داہ داہ گز آسہٕ ۔

داہ دَردُنۍ یا ہزار دَر اَخرتھ ۔ اگر کانٛہہ اَکھ حِصہٕ
پیٚتہٕ دان دِیہٕ یا خأراتھ کرِ تَمِس ترٛ دویمِس دُنۍ یا
ہَس منٛز ساسہٕ گَن ۔ والیہٕ خأر پرٛژھی وَننہٕ یِوان ۔
اَکھ خأراتَس چھُ ساس گنہٕ ماوضہٕ دویمِس دُنۍ
یا ہَس منٛز تران ۔

داہ گز سَنٛز کیا ۔ داہ گز ووٕ گنٛز کیا ۔ یا داہ گز تاہ
کیا ۔ داہ گز بالا کیا ۔ تہٕ دُپتھ گو یٚیلہٕ کیٛنہ
ناکارِ گی گرٛژھنی آسہٕ تیٚلہٕ چھُ برابرے زِ ژٕر گرٛژھی
تَن یا گَم ۔

دٕہیٚل ۔ دٕہلہٕ ( تاسِک اَکھ پتہٕ ) ۔

دٕہیم ۔ نَو پتھ گن ترٛاوِتھ یُس بُتھِ ییہٕ ۔ نَو وپتہٕ ۔

دٕہیٚن ۔ دٔہن ہُنٛد ۔ مِ: دٕہیٚن نوٹ ۔

دٕہی ۔ دٕہہٕ گوٗن گرِتھ ۔ دَہہٕ سٟتۍ ضرب دِتھ ۔ دَہہٕ لٹہٕ ۔

داہ ۲ ۔ ن ۔ مؤل: داہ <س: داہہٕ ] ۔ ۱ ۔ مورِد زالنٕچ کام ۔
۲ ۔ ( کأنسہٕ ہِنٛدِ ) دزُن ۔ حسَد ۔ اَزرُون ۔ تیٚوٗل

داہ دیٚن ۔ آورینہٕ پٹھ زالُن ۔ ژیتایہٕ ژکھ دیٚن ۔

داہ سَنسکار ۔ مورِد ژیتایہٕ پٹھ زالنٕک رٕسم ۔

داہ گرُن ۔ ( وَرگہٕ ) سخ نوقصان واتناوُن ۔ ڈاس
گرُن ۔

داہ گرٛژھُن ( وَرگہٕ ) اَنٛدری نار ہیوٗن ۔ تکلیف
واتُن ۔ دِق ووتھُن ۔ ڈاس گرٛژھُن ۔

داہ گار ۔ تکلیف واتناوَن وول ۔ سُہ یُس وَدِناوِتہٕ
ترٛتلہٕ ۔ نوقصان واتناوُن وول ۔ جأنۍ دُشمَن ۔

داہلۆب تہٕ باہٲب۔ تہٕ ڈٕپتھ گو زِ کٔڈ رِس وَقتَس منز ہَر گاہ مودَس سیٚد بٔتھ داہ دِنہٕ ییہِ سہٕ چھُ تَس باہ گَرنَس بَرابَر۔

داہَج دَگ۔ داہ پھُٹرُن۔ کاٗنسہِ پٔنٕز سُند مَرگ پھُٹرُن۔

داہ مشتی۔ اکِہ قسمٕک پژون کاشُر کاکُد۔

دا یےا۔ن۔ مۆل: دایے]۔ مشوٗرٕ۔ صلاح۔ رایے۔

دا یے پرٕ ژھُن۔ مشوٗرٕ ہیوٚن۔

دا یے دیُن۔ مشوٗرٕ وَنُن۔ صلاح وَنُن۔ رایے وَنٕنۍ۔

دا یے وَنُن۔ وٕچھو "دا یے دیُن"

دا یے ہیوٚن۔ مشوٗرٕ حاصل کرُن۔ صلاح ہیوٚن۔

دا یے۲۔ م۔ مۆل: دا یے <ہ: دایا <س: دھاتری]۔

۱۔ نوکرٲنۍ۔ خدمتھ گُذٲری کرن واجێنۍ زنانہٕ۔

۲۔ وارِینۍ۔ ژُرس۔

دایہ پون/ دایہِ تون۔ دایہِ کار۔ نوکرٲزی۔

دایہ تون۔ دایہِ پٲٹھر۔ دلیہِ ہُند ہێٚو ورتاو۔ نوکرانہِ باپار۔

دا یک۔ ن۔ مۆل: دایک]۔ مشوٗرٕ دِنہٕ وول۔ صلاح دِنہٕ وول۔

ڈٕنۍ۔ وٕچھو "دۆنۍ"

ڈٕتر۔ م۔ مۆل: دتر]۔ اکھ ٹوپَل تکرِ قسم یُس تہٕ مانٛچھ ترٛاوان چھُ۔ گانڈر

ڈٕترِ اول۔ ۱۔ لوگٕٹ ڈٕترِ گن۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) سو جایے یتھ گن گرٕچھنس منزظرٕ آسہِ۔ م: یُتھ نو گوو ہم ڈٕترے اٲلس گوڈٕ پٕزٕ ژھ مٲلس کیٛا لکھنے۔

ڈٕترِ پێٚنہٕ۔ ۱۔ ڈٕترٕ ہنٛدِ ڈٕسی نٕچھنہٕ یُن۔ ڈٕترٕ ہنٛدِ ٹوپہ دِنہٕ ستی ہُنر کھسُن تہٕ دَگ گرٕنۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) کتھ بوٗزِتھ تلواس گوٚڈھُن۔ کتھِ پتھ دزان دزان ژلُن۔

ڈٕترگن۔ ۱۔ ڈٕترجَم گٹھ۔ ۲۔ ڈٕترِ اول۔

ڈٕترِ گنس کنٕ دِنۍ۔ ڈٕترٕ ہنٛدِس اٲلس کنٕ چلاوِنۍ یتھ تمہٕ نچھتہٕ دورَن۔ تہٕ ڈٕپتھ گو بلایہ بٔتھِ نیرُن۔ مصیبتس آلو گرُن۔

ڈٕترِلگنہٕ۔ (ورگہٕ) کُنہِ جایہِ۔ قرار نہٕ یُن۔ سو کھنہٕ لگُن۔ لگُن نہٕ۔ مُ ہوش پێٚنٕز۔

ڈٕترِ ووتھنہٕ۔ (ورگہٕ) سَخ دَگ ووتھنۍ۔ سَخ پھٕٹُن۔ زبردس تیلُن۔

ڈٕتی لِکھِ۔ غلط انداز۔ غلط حساب۔ حساب یُس دُرُس آسہِ نہٕ۔

ڈٕتھر۔ م۔ مۆل: ڈٕتھر]۔ اکِہ قسمٕک ٹوپَل کیٛوم۔ گانڈر۔ ۲۔ ہَر زٕگر (زنانہٕ)

ڈٕتھر ناش۔ ۱۔ نوقصان۔ ۲۔ پھش پھٕرُن وول۔

ڈٕج۔ م۔ مۆل: دَج <دھوجا۔ مُ۔ ہ۔ دجی]۔ ۱۔ کپٕر چھل یا ٹکرٕ۔ رُمال ہیترٕ۔ ۲۔ ژھێنٕز متس پے وَنٛدِ کرنہٕ باپتھ ٹکرٕ۔ ۳۔ ژمپنہٕ ڈوٗر یا ژمپنہٕ ہُندِ کانٛہہ لوگٕٹ ٹکرٕ، خاص کٔرتھ خوشکھ ژمپنہٕ ہنٛد۔ ۴۔ تہٕ کھنہٕ ہیترٕ باپتھ کانٛہہ رٕتھ لو کٕٹ جایے۔

دجہِ باگے ۔ووٚڈٕ مینہٕ ڈوٗررادن یاربلن منٛز بأ گرَن۔

دَجہِ ریٹٕن ۔دجہِ تر۔

دجہِ کنتھ ڈٔج ۔ا۔تیٚوٚت یوٚت زَن گٔلی گنڈٕ دجہِ ولتہٕ۔

۲۔واریاہ۔ژۄر۔أچھی تلی یوٚن۔(سامانہٕ بیترِ)

دَجہِ ہُر ۔ہُر مُر گرِتھ یاسوٚمبرِتھ زَچہِ۔

ڈٔج ڈٔج ٹٕلنی ۔ا۔ژٔمینہٕ ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ ٹکرا کہِ اکہِ وایِن ۔۲۔رَژھ رَژھ نتھ موکلاوُن ۔نتھ نتھ ہیٚنی۔

ڈٔج دِتھ وَدُن ۔ماتم پیوٚن۔

ڈٔج دِنی ۔ا۔جاے شرٛ ڈٔزراونہٕ باپتھ پتھرس لوٗن پھش دیُن، خاصکرِتھ بتہٕ دتہٕ کھنہٕ باپتھ۔

۲۔أسہِ تھوٚپ دیُن۔(ماتمہِ وِزِ وَدُن روکنہٕ باپتھ)

ڈٔج لائنی ۔ا۔ ژھینٛی ہتس پلوٚس ڈٔج ترٛوپ گرُن۔ پلوٚس کُنہِ گدچہ جایہِ گُپر تلیم لائنی۔

۲۔پنٕنۍ سنٛز غلط کتھ تل کرنہٕ باپتھ شیرِتھ سنٛبألتھ وَنُن ۔عأبس ووٚرن ژھٔنُن۔

ڈٔجی دیوأری۔سیرلب بیترِ یتھ منٛز منٛزِ کرٕتوٗتہٕ بیترِ بتہٕ برنہٕ آسن آمتۍ ۔ژینبورو ستۍ کھارنہٕ آمژٕ لُر۔

ڈٔچھن ۔ن۔موٚل:ڈٔچھن >س: دَکشِنہٕ]۔ا۔سہ طرف یُس کھوورِس مقابلہٕ آسہِ،جۆنوٗب۔۲۔ڈٔچھنہِ طرفُک ۔جۆنوٗبُک۔۳۔سہ طرف یپأرٕ تاپھ آسہِ پھیران۔۴۔یُس تگہِ ۔تگن گۆر۔م:اتھِ ڈٔچھن۔۵۔کولہِ ہُنٛد سہ بوٚٹھ یُس وَسہِ وِنس کُن

بُتھ کُرِتھ انسانس ڈٔچھنۍ آسہِ۔

ڈٔچھنۍ ا۔یپأرٕ ڈٔچھن چھُ ۔ڈٔچھنہِ طرفہٕ۔۲۔جۆنوٗبہٕ کنۍ۔۳۔ دَکھِنا،تمہٕ ہارٕ یمہٕ کانٛسہِ برٛہمنس پوٗزا پہِ بیترِ باپتھ دِنہٕ ییٚن۔۴۔بڈٕ دوٗچھ بخشأیش یوسہٕ بتہٕ کانٛسہِ دِوان چھِ۔

ڈٔچھنۍ پأرٕ ۔وِچھو"ڈٔچھنۍ کنۍ"

ڈٔچھنۍ ڈٔچھنۍ ۔ڈٔچھنہِ اتھِ کہِ طرفہٕ۔ڈٔچھنہِ ترٛ ایہٕ۔

ڈٔچھنۍ کنۍ ۔جۆنوٗبہٕ طرفہٕ۔ ڈٔھنس کُن

ڈٔچھنۍ نُر۔ سوٗنر ییٚمہِ کہِ اتھِ یڈٕ پأٹھی بتہٕ چھِ کھیوان۔سوٗنر یوسہٕ یڈٕ پأٹھی کامہِ کارس لاگنہٕ یوان چھےٚ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سہ یُس پتھ پوٚرِ پرٛتھ آسہِ۔سہ انسان ییٚس پتھ کامہِ کارٕک دارٕ مدار آسہِ۔

ڈٔچھنۍ یُن ۔رُشوَتھ دیُن ۔کوٚژھ اَنُن۔

ڈٔچھن اتھِ چھُ کھوورِس اَتھس چھلان ۔تہِ ڈٔیتھ گوٚیس پلزٕی زِ سہ چھُ اورٕ تہِ پلزان۔

ڈٔچھن پوٚر ۔ا۔سہ علاقہٕ یتھ ژٕرس کالس تاپھ پوشہٕ۔۲۔کشیر منٛز کیٚنژن علاقن ہُنٛد ناو۔

ڈٔچھن کھوور ۔ا۔اوفد پوٚکھ۔۲۔اورٕک یوٚرٕک حرامُک (مال)۔

ڈٔچھنِ کھوور وُچھن ۔اورِ یور نظر دِنی ۔وِچھتھ پکُن ۔سوٗنچتھ قدم ترٛاوُن۔

ڈٔچھنہِ اتھِ کھیوٚن تہٕ کھوورِ اتھِ وَگوژٕن۔یہ

چھِ تس انسانس متلق وناں یُس أتی کھیٚیہٕ چیٚیہٕ
تہٕ أتی کرِ مخالفتھ۔ مُ: پیٚتھی بانس کھیٚوٚن تھی
بانس چھرُن۔

ڈچھنیار۔ ڈچھنِس کُن تراے (خاص کرِتھ ہوٚس
یا تاپس)

ڈخل۔ن۔مؤل: ڈخل<ع: دخل]۔(جِنہٕ بیترِ منز) آوٚتھ۔
پزاہ۔رٹنہٕ یُن تھپھ۔تصرف۔ژھاے۔

ڈخل کرُن۔پزاہ کرُن۔لارنہ کرناونہٕ۔لٹھ اٹنُی۔

ڈخل کاسُن۔جن کڈُن۔مأنثِر پرِتھ تصرف
دوٗر کرُن۔

ڈخل گژھُن۔جن اژُن۔تھپھ گژھنُی۔

ڈدر۔م۔مؤل: ڈدر<س، ڈڈر] ژمہِ ہنز اکھ بیمأری۔
یہ چھُ اکہِ قِسمُک لٟاو ہیوٗ یُس پھٲہلان
گژھان چھُ۔اتھ چھےٚ کھجنی آسان۔

ڈدرہیوٗ کھرُن۔ملےٚ نہٕ خوش کرُن۔سخ کھرُن۔

ڈدونہٕ۔ن۔مؤل: ڈدوَن <س: دَگدھ+ دَنہ]
ا۔دوٗ دمُت جنگل۔سُہ جنگل یتہٕ نارِ ستی وتھ
وار آسہِ گومُت۔۲۔وأرانہٕ۔شُنیا۔

ڈدونس درشُن۔(ورگہٕ) تبأہی گژھتھ یہ کینژھا
پتھ کُن موژِتھ نظر دِنس نہٕ ووندیُن۔نوقصان
گوھنہٕ کنیٚ وأراگ (ودھُن)

ڈدونس نیٚوٗرییُن۔(ورگہٕ) نارِ یالہِ پتہٕ نوٗ سرٕ
کرِ بناوُن۔

ڈدونہٕ کرُن۔(ورگہٕ) تبأہی کرٕنی۔

ڈدونہٕ گژھُن۔ ہتھےٚ بأش گژھنی پتھ بأش
ڈدی متِس جنگلس چھےٚ آسان گأمت۔تبأہی
سپدٕنی۔بوٚر بأد گژھنی۔

ڈریچہٕ۔ن۔مؤل: ڈریچ<ف: دریچہ]۔دأر۔

ڈرزا۔م۔مؤل: ڈرز<ف: درز] دیوارس بیترِ منز ژرن پأنہٕ
گاش ایا پیور تران آسہِ۔لےٚ۔ترڈ۔ترٕے۔

ڈرز۲۔<س: دارد] دَرد بارے۔

ڈرزِ پأتھر۔باٹہٕ پأتھرس منز ڈرزن ہُند نقل۔

ڈرز۳۔م۔مؤل: ڈرز]۔ہِنکس کھوڑ کیمس ہیوٗ اکھ کیوم
یُس لأوِس فصلس تہٕ لاوِ سبزی ٹکان چھُ۔

ڈرزلگنی۔ا۔سبزی منز ڈرزٕ گژھنی۔۲۔فصلن تہٕ
سبزی تھج ڈرز ہند ٹھ لگُن۔۳۔ڈرز ہُند سبزیہٕ
نوقصان کرُن۔

ڈرزِ واپھ۔ڈرزن ہِندِ پھاپھلنگ وق۔

ڈرراونی۔ماڈِ گرگِن وألی وہنی تھاوناوُن۔

ڈرراوُن۔<س: درِڈھ]ا۔ٹھیکر آوِتھ تھوُن۔ڈکھر
أوِتھ تھوُن۔۲۔یاد کرُن۔تألیم تألیم کرٕنی۔
۳۔فاقہٕ تھوناوُن۔روز دار تھوناوُن۔۴۔ہلہٕ روُن۔
بتھی پھیر کرُن۔

ڈرٕ۔<پراکرت: دَرا] سطرنج۔وتھرِ نی پلو۔

ڈریا/ ڈریاو۔ن۔<ف: دریا]۔بڈ کول۔

ڈری یابورد۔کولہِ گوھُن۔کوکہِ برُی۔

ڈری یادِل ۔ا۔یَس دِل سبٹھاہوٗ ڈآسہِ ۔ڈٕسی دِل انسان۔
۲۔سُہ یَس وپہن بلنہٕ آسہِ ژٲوٗک موٗڈر برداش کرُن
وول۔۳۔یس اتھہٕ ووتھ آسہِ ۔سخی ۔فیاض۔

ڈری یاوس ژٕھٹُن۔ ا۔کولہِ دآرِتھ دیُن۔
۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) ضایہِ گرُن ۔وٲران گرُن۔
تباہ گرُن۔

ڈری یاوس گرٕھٹُن ۔ا۔کولہِ پھٹُن ۔۲۔ ورگہٕ
پاٗٹھی) ضایہِ گوٚھن ۔ کُنہِ وتہِ نہٕ لگُن ۔ کانہہ
نتیجہٕ نہٕ نیرُن ۔ کینہہ حاصِل نہٕ یُن ۔ گرِ ڈٕلتھ
گوٚھن ۔م: یہِ دوٗنُتھ تہِ گوٚھن ڈری یاوس۔

ڈری یاوٕ بُزی گرٕھٹُن ۔ا۔ڈری یاوس منز پھٹُن۔
۲۔ناگہانی بلایہ ہُند شکار گوٚھن ۔۳۔ تہِ گوٚھن
تیچ وومیدے آسہِ ہلنہٕ۔(ورگہٕ پاٗٹھی) ضایہِ
گوٚھن ۔کولہِ گوٚھن۔

ڈری یاوٕ نوان کانہہ آب، بوٗتی مار دِوان بُتھہِ
بُتھہِ ۔ تہِ ڈٕپتھ گواکھاچھُ عاشِ کران تہِ بیٚنس
چھُ ہیٚڑ وتھان ۔ازرُون یُن۔

ڈری یایہِ رٕحمتھ ۔(ورگہٕ) آنحضرتؐ۔

ڈری یاف ۔ن۔موٗل: ڈری یاف <ف: دریافت]۔
مولوٗم (کرُن یاسپدُن) ونہٕ کڈُن ۔لبُن۔

ڈری یاٗے ۔<ہ: دریایی <ف: دارایی]۔رنگدار پاٹی
کپڑُک اکھ مولل قسم۔

ڈٕسل ۔موٗل: ڈٕسل] گرِ نہٕ ستی لبہِ ژینی بیترِ کھارن
وول کارِ گر۔

ڈٕسی لاٗز۔ڈٕسی لہٕ سُند کار۔

ڈٕستی۔وِچھو "دٕس" لفظس تل۔

ڈٕسلابہٕ۔ن۔موٗل:ڈٕسلاب <ف: دٕستی+س:لابھ]۔
بوٗنی۔گوڈ۔ابتدا۔شوٗروٗ۔

ڈٕش۔م۔موٗل: دَش <س: د۔شا] ا۔تمہِ تلہ مہٕ یا داوِ
پھیٚتی بیترِ یم کُنہِ پلوٗس الاٗنڈی آسَن ۲۔سُہ پَن یا
دَجہ تہ یوسہِ کُنہِ کُنہِ زِیارتَس یا اَستانَس بیترِ پیٹھ
کانہہ مُراد پوٗرِ گوٚھنہِ باپتھ گنڈنہٕ ییہ۔
۳۔وُتھرا۔بُرگا۔م: ہا کہِ ڈٕش۔۴۔ییٚنہِ ہُند سُہ
حِصہِ یُس کُنہِ اَنٛدٕ گوڈٕ وونہٕ نے ترٛاونہٕ ییہِ یا
مُوراونہٕ ییہِ تہِ پَتہٕ ییٚس وُٹھن دِنہٕ ۔۵۔اٚنٛزلس
الانزداوٕ۔م: اٚنزٕلی دَشہِ۔

دَشَل۔وِچھو "دَشہِ دار"

دَشہِ تھوٗی تھوٗی۔مَنگہٕ کٔرِتھ۔کُہی تام کُہی تام۔
سبٹھا ہیٚرٕ ھتھ کاٗنچتھ۔

دَشہِ دار۔یَتھ دَشہِ آسَن ۔سُہ پلو یَتھ ییٚنہِ ہندی اَنٛد
وُٹھنہٕ آسَن آمتی۔

دَشہِ دار۔یَتھ دَشہِ آسَن آمتی۔

دَشہِ ڈیٚنٛٹھن۔اَنزٕلی دار ہلہِ گنڈُن۔سُہ ہلہِ گنڈُن
یَتھ پُسَن ہنٛز دَشہِ وُٹھنہٕ آسَن آمو۔

دَشہِ گنڈٕ نہٕ۔کُنہِ اَستانَس بیترِ پیٹھ پَنُن مُراد حاصِل
گرنہٕ باپتھ پَن گنڈِتھ تھاوُنی۔

دَشہِ مُژٕرِنہٕ۔ مُراد حاصِل سَپدِ نہٕ پَتہٕ اَستانَس ڈٔش مُوراؤنٕک رَسِم پوٗرٕ کَرٕن۔

ڈٔشرَن۔م۔ مؤل: ڈٔشرن <س: دوشنہ] ۔راہ۔ قوصوٗر۔

ڈٔقیانوٗسی۔۱۔پرانی تارِ تَرِ وٗن۔ سیٹھاہ پرانہِ خیال لُک۔ ۲۔گومُت۔ گذریوٗمُت۔

ڈٔگلہٕ۔ن۔مؤل: ڈٔگل <ہ: دگلا] ۔۱۔پھَمبہٕ سَدرٕ۔ ۲۔لوگُٹ گَبہٕ۔ یَتھ کانٛہ پھَمبہٕ بَرنہٕ آسہِ آمُت۔ گدیلہٕ۔

ڈٔل۔م۔مؤل: دل <ع: دلالہ] ۔۱۔دزٲل ۲۔بَد ذاتھ زَنانہٕ۔ بَد چلَن زَنانہٕ۔ ٹٔڈٕم۔ کَم ذاتھ زنانہٕ۔ ''دَلہٕ'' ۔لفظُک ماد۔

ڈٔلیل۔م۔مؤل: ڈٔلیل <ع: دلیل = دَلہٕ ۔] ۔گَتھ۔ یُتھ پٲٹھی پادشاہ گَتھ۔ کہٲنی ۔۲۔گدرُن۔ پانَس پیٹھ گذریوٗمُت یُس کانٛسہِ باونہٕ یِیہ۔ دَشا۔ حالتھ ۔۳۔کُنہِ مامِلچ یا کَتھ ہنٛز وہوٕ نہٕ تھوٗ بوٗتھ ۔۴۔سَبَب۔ وَجہ۔

ڈٔلیلہِ بُڈٕ۔ (ہزلہٕ) یُس گَتھ بوزناوِتھ اَر اَنہٕ۔

ڈٔلیل وَنٕنۍ۔۱۔گَتھ وَنٕنۍ۔ کہٲنی پھرٕنۍ ۲۔(وَرگہٕ پٲٹھی) زیوٗٹھ پیٹھ یا بَہانہٕ وَنُن۔ پَنُنہِ بچاوٕ باپَتھ اپٕز گَتھ گَرٕنۍ۔

ڈٔلیٖن۔ن۔مؤل: ڈٔلن <س: دَلنہ] ۔۱۔گوڈٕنیک دَل۔ (مُنہِ ستی) اُلگ کَڈنہٕ آمُت توہ بیترِ۔ ۲۔گوڈنِکہِ دَلِک توہ۔ ۳۔چھِچھ۔ زٕلَن۔

ڈٔلِپھ۔پزاہ۔تصرُف۔

ڈٔلِپھ پیٚنہٕ۔۱۔پزاہ گوٚھن۔ تصرُف گوٚھن۔ اَمہٕ ستی چھُ راتھ کیٚت (خاص کٔرِتھ ہَر دَس مَنٛز) پَگنہٕ ستی پرٛتھ کینہٕ دَزان بوزنہٕ یوان ۔۲۔(وَرگہٕ پٲٹھی اَرٕ سَرِ لگنۍ ۔ژھَرٛ ژھٕڈٕنۍ۔

ڈٔمنۍ۔مؤل: ڈٔمنۍ <ف: وُچھو۔ دَمہٕ] ۱۔شاشُش۔ پھِژکہ۔ شُہس لَمہٕ ۔۲۔تیٚرَن ہنٛز اَکھ بھٲرۍ یوسہٕ تَمَن وَنٛدَس مَنٛز گَران چھےٚ ۔۳۔زِہٕ یٹھ ژاس۔ زِیکھ۔

ڈٔمرٕ نہٕ لَد/ دَمنہِ لَد۔ تَمہٕ لَد۔ یُس تَم آسہِ۔ سُہ یُس شاشُشہٕ رٔژمُت آسہِ۔ (دَزَن دادِ کانٛسہِ وَنان)۔

ڈٔمی۔ وُچھو ''دَمہٕ'' لفظس تل۔

ڈٔمِ دِ۔ن۔مؤل: ڈٔمِ دٕ <ف: دمیدہ] ۔۱۔شوٗنٛٹھ بَتاسہٕ۔ شوٗنٛٹھ تڑاوِتھ کھَنٛڈ بَتاسہٕ ۔۲۔شوٗنٛٹھ تڑاوِتھ بُزِتھ ماز۔

ڈٔنٛج۔ وُچھو ''دنٛد'' لفظس تل۔

ڈٔنٛدر۔م۔مؤل: ڈٔنٛدر <س: دَنتہ+ دھارا] ۔۱۔بانہٕ کُلیگ اَنٛد۔ دار۔ کِنارٕ ۔۳۔(وَرگہٕ) زِہٕ یٹھ زاپٕٹھ۔ فاضِل کلامہٕ۔

ڈٔنٛدرٕ تٔلنۍ۔ زِہٕ یٹھ دَاپٕٹھ وَنٕنۍ لاگنۍ۔ یَتھ کانٛہہ گَتھ تٔلنۍ یَتھ کُنہِ اَنٛد گوڈ آسہِ نہٕ۔ راد۔

ڈٔنٛدرٕ لاگنۍ۔ زِہٕ یٹھ زاپٕٹھ لاگنۍ۔ فضوٗل کلامہٕ لاگُن۔

ڈٔنٛدرٕ وَنٕنۍ۔ زِہٕ یٹھ زاپٕٹھ وَنٕنۍ۔ راد وَنُن۔

ڈٔنٛدِ شیٖرٕ اَڑُن۔ شُرِس دَنٛد یِنہٕ پَتہٕ تہِ موٚمہٕ چیٚچ ژاپھ

روزنی۔بڈتھ تہ شُرس ماجہِ مومہِ چٕچ کل روزنی۔

ڈنڈی ین۔۱۔ژاپنہِ ین۔دَندَ وسٕتی ژاُپتھ ہیکُن۔
۲۔(وَرگہِ پاٹھی) اَتھس منٛز ین۔قوٕنٛسپدُن۔
پھسُن۔

ڈژ۔[م۔مؤل:دَژ]۔۱۔نیٚک سیُر۔پوٚپہ۔ژال۔۲۔دوٚر
گنہِ چہِ یا جمکہِ چہِ اَویزان تلہِ۔سونہٕ یا روپہٕ داو۔
۳۔پلوٚس ہیتھ اندٕن تل تلہِ لانچ اکھ چال۔

ڈژدار۔۱۔یتھ سیُر آسہِ۔۲۔(زوٚج)۔یتھ تلہِ آسہِ
چھاُوتھ۔

ڈژکلہِ۔ہیٚنہِ پیٚتس سوٚمب نکہِ نکہِ سری دانہِ۔
پھٹہِ متہِ تو ہلکی پیٚنٛتی۔

ڈژ موختہ۔نیٚک موختہ یُس تلہِ داوَ سٕتی چھاونہٕ چھُ
یوان۔موختہ یُس ڈژ ٹوپن منٛز ورنہٕ چھُ یوان۔

ڈژ ہینٛز۔تو ملس ژھٹھ کڈتھ تمہِ منٛز سیُر کڈُن۔

ڈنگلہِ۔ن۔مؤل:ڈنگل <ف:دنگ۔م۔ہٕ:دنگا]۔
نیاے۔جگرٕ۔دَندوزُن۔ہرہر۔ژوژو۔

ڈنگلہِ لاگُن۔نیاے لاگُن۔مُچلہِ لاگُن۔تھپھہٕ تلُن۔

ڈہ۔وچھو۔"داہ" لفظس تل۔

ڈہر۔م۔مؤل:دہر<س:دَھرتر۔م۔ہٕ:دھڑ]۔جماتھ۔
دوٚر (گوون والین ہیتھ ہنٛد)۔

دہر بوج۔داین وول۔سٕتی بوج۔جماژ بوے۔ساتھی۔
ہم جماتھ۔

ڈہر بو ڈہر بو۔کھیٚچ کھیٚچو۔

ڈہم۔[م۔مؤل:ڈہم<س:دَشمی]۔زوٚنہِ پچھک یا گٹہِ
پچھک ڈہیم دوہ۔

ڈہم کاہ۔بتن منٛز فاقہِ دِنک اکھ رَسم۔یہِ فاقہِ چھہٕ ترٛہن
دوہن دِوان۔گوڈنکہِ ڈنگہِ چھہِ اکھ ڈنگ۔
دوٚیمہِ دوہہ بلکُل فاقہِ تہ ترٛیمہِ دوہہ دُپہرٕ
برونٛہہ اکھ ڈنگ کھوان۔

ڈہم کاہ دَرٕنی۔نیمہِ پاٹھی زوٚنہِ پچھہِ ڈہم تہ کاُش
دوہہ فاقہِ دیُن۔

ڈہم کاہ گرٕنی۔توبہِ یا پرٛایشچت گرنہٕ باپتھ دہم تہ
کاُش دوہہ پتُن پان شرٛ وژراونہٕ پٔژھی فاقہِ
دیُن۔

ڈہن۔۱۔سومُشک یوسہِ کانٛجہِ گاٹٕتس دودَس ہیتھ یوان
چھے۔۲۔گنڈ، روہن ہیتھ یٔک تیز مُشک۔

ڈہیُل۔ن۔مؤل:ڈہل <س:دایہ+اَل]۔وبد اکھ۔
لبلہِ واُنی گرنک ہے۔

ڈہیُل پون۔ٹاٹھی دَگ۔کاٗنسہِ خاص پٔنٛنی ہنٛدِ
مرنک افسوٗس لایق تاوُن۔

ڈہر۔[ن۔مؤل:ڈہر]۔سہ گری دار شیٖشٕر و سیٖخ یُس
لڈی شاہ چھُ وایان۔

ڈہلہِ۔[ن۔مؤل:ڈہل <س:دَش+اَل]۔تاسک سہ
پُتر یتھ مول ڈہ آسہِ۔یُس ڈہلہِ کھسِتھ تہ
غولامہِ وُستھ آسہِ۔

ڈے ۱۔[ <س:دَیو]۔دَین۔خوداین۔مٕ:ڈے

دیتُمت۔

ڈے ۲ ۔[<س: دَیا]۔دَیایہٕ۔مہرٕ بانی کرنس پتھ۔

ڈے گژھن۔مہربان سپدُن۔مہربانی کرنس پتھ یُن۔ بخشائیشہِ ستۍ مالامال کرُن۔

دأتھ۔ن۔مؤل: دأت <س: دیتیہ۔مؤل۔"دیَت" تہٕ۔ا۔اکھ ربوایتی دیو۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ظألم۔یَس کُن وُچھتھ کھوژُن آسہِ یِوان۔

دأج ا۔ [ <س: دایہٕ ]۔کانہہ ہنز ڈۆر یوسہٕ کرنجلی بناوُنس اِستیمال سپدان چھےٚ۔

داجہِ کوٚر۔شۆبہٕ باپتھ پھوٚتس، کانگرِ بیترِ دۆنی ہنز کرِی چالہِ ڈۆر۔

داجہِ لونگن۔سامانہٕ تھونہٕ باپتھ کانٛیُو پِٹار۔یتھے اکھ چیز یتھ کورِ گنداں چھےٚ۔

دأج ۲ ا۔کُہی چالہٕ ٹونگر۔زمین کھنُنہٕ باپتھ اکہ سامانک ناو۔۲۔چوکاٹھس پتھ بناوِتھ پنہٕ داوَن ہُند پنجرٕ ہیٚو۔یمہٕ منزٕ ووورٕ پیٚنہٕ تاران چھُ۔

داجہِ ٹونگر۔کُہی چالہِ ٹونگر۔کداں۔

دأخل۔مؤل: دأخل <ع: داخل۔دَخل]ا۔شأمِل۔ دَرج۔ستۍ۔۲۔اَنٛدر۔

دأخل دفتر کرُن۔کانہہ تہٕ کاروأیی کرنہٕ رۆس کاکد پتھ تڑ اوُن مِنساوُن۔بازٕ خاس نہٕ تُلُن

دأدی کانگر۔وُچھو "دود" لفظس تَل۔

دأدی وأو۔وُچھو "دود" لفظس تَل۔

دأر ا۔م۔مؤل: دار <پرٛاکرِت: داڑھا۔ <س: داڑھکا]۔ ا۔ریش۔۲۔مکایہٕ وَچہ ہنزٕ زرٕ۔

دارِ چھوٚت۔یَس ریش چھتیوٗمت آسہِ۔یِژتھ مَنٛد بُڈ۔سُہ شخص یمی ہنزٕ وُمرِ ہُنٛد پاس سارِنٕے آسہِ۔مُری دیا دُم۔

دارِ کوٚنٛڈلور آسُن۔ا۔کُنہِ نِشانہٕ یا علامژ کِنہٕ کُتھہِ نَنبر گژھُن۔م: بِکھرِ ژۆرس دارِ کوٚنٛڈ۔۲۔پَنٕنہِ جلیہٕ پَنٕنی اَتر یک شَک آسُن۔

دارِ کوس۔ا۔یمی ریش کوسمت آسہِ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) بےٚ شرم۔یَس کأنٛسہِ ہُنٛد پاس آسہِ نہٕ۔

دارِ گوڑِتھ رۆس۔لوٚکٹ یَس دأر پھٹےٚ آسہِ۔ نابالغ (ہزلیہٕ)۔بڑ پھٹیومت بالغ۔

دار ہل۔ا۔سُہ شخص یَس ریش زیوٗٹھ آسہِ۔ریشل۔ ۲۔اکھ کرام۔

دأر دِزِنی۔شَرمَنٛدٕ گژھُن۔بُتھس بزوتِھ کُنہِ کینہہ تیٚتھ سپدُن یمہٕ ستۍ شرمَندٕگی گژھہ۔

دأر ۲ ا۔م۔مؤل: دار <س: دۆار ]۔ا۔لرِ ہنزن لَبَن ہُنٛد سُہ ووتھ جِسہِ یتھ چوکاٹھ تہٕ پٹِ ہوٚہہٕ تہٕ گاشہِ بیترِ خأطرٕ چھِ آسان۔۲۔دارِپوٚٹ۔م۔ دأرتہٕ پنجرٕ۔

دارِ بَر۔دارِتہٕ بَر۔

دارِ بَر تڑ ۆ پر تھ بہُن۔ا۔(ورگہٕ)۔لوٚب ہیوٚن۔ ۲۔رۆشتھ اَنٛد کُن بہُن۔تولُق ژٹُن۔

دارِ بَر ترٛوٚپرٕنۍ ۔ (وَرگہِ) ناراضگی ہُند باس دِیُن۔ روٗشِتھ بِہُن۔

دارِ پوٚٹ ۔ دأرٕنٛد کرنک تہٕ مُوراونک پوٚٹ۔

دارِ دَرِ لگُن ۔ نکار بوٗزِتھ تہٕ منگٕہ منگ گرٕنۍ ۔ اَگاہ گوٚوھن۔

دارِ کَنۍ اَژُن ۔ محنتھ گرنہٕ ورأے فأیدٕ تہٕ کیٛنہہ سپدُن ییٚچھ وومید آسنہٕ۔

دارِ کَنۍ نیرُن تہٕ بَرِ (بَری) کَنۍ اَژُن ۔ یہِ چھِ تمہِ پھرِ وَنان یِیلہِ کأنٛسہِ ہنہٕ دزنہٕ تہٕ گُری زِ توٚتہِ یہِ الٕنہٕ وَلنہٕ۔

دأرِ۳ ۔ م ۔ مؤل: دار < س: دارَ] ۔ اَچھِ دأر۔

دأرِ۴ ۔ ن ۔ مؤل: دأر < س: دھیریہ] ۔ ۱ ۔ (مُصیبتَس منٛز) ہمتھ ۔ ۲ ۔ ڈٕٹھ روزُن۔

دأر گرُن ۔ مُصیبتھ وِزِ دِل گرُن ۔ دَربر گرُن ۔ ہمتھ ہارنہٕ وَرأے کامہِ پیٹھ ڈٕٹھ روزُن۔

دأرِتھ دِیُن / ژھٕنُن ۔ ۱ ۔ بُرِتھ دِیُن ۔ ۲ ۔ دَکہِ دِتھ پتھر ترٛاوُن۔

دأسی ۔ م ۔ مؤل: دأسی < س: داسی] ۔ نوکرأنۍ ۔ دائے ۔ خدمتھ گرَن واجینٛز۔

دأمی رَز ۔ م ۔ مؤل: دأمی رَز < س: دامَن + رَجہ] ۔ گیٛن بیترِ گنٛڈِتھ تھاوٕنۍ رَز ۔ گدوم۔

دأن ۔ ن ۔ مؤل: دأن < س: داڑِمہ] ۔ اکہِ تھٕرِ ہُند میوٚہ یتھ گنٛجِ اَنٛدَر رَس دار پھلۍ آسان چھِ۔

دأن پوٚش ۔ ۱ ۔ دأن تھٕرِ ہنٛدی پوٚش ۔ ۲ ۔ (وَرگہِ پأٹھی) پھٹہٕ وِنہٕ بَبہٕ۔

دأن قلم ۔ دأن مؤریوسہٕ روٗنٛس لگان چھےٚ۔

دأن ہٕٹ ۔ ہوکھٕ نأوِہ دأن گنٛڈ۔

دأنِستہِ ۔ < ف: دانِستہ] ۔ زأنِتھ مأنِتھ ۔ أکھتھ۔

دأنۍ ۔ اَکھ وَزن ۔ تولُک ژُراہیم حصہٕ۔

دأنۍ رُن ۔ پأنۍ پأنَس ستۍ سوٗچُن ۔ ژٕتھ دِنۍ ۔ اَنٛدازٕ گرُن۔

دأنٛتُن ۔ ن ۔ مؤل: دأنٛتُن < پرٛاکرت: دَنتہ وَنہ < س: دَنتہ پَوَنہ] ۔ لوٗوِ مؤرٕ ٹُکرٕ یمہٕ ستۍ دَنٛد صاف یِن گرنہٕ ۔ مِسواکھ۔

دأنٛتُن مؤر ۔ لادِ مؤر ۔ سوورِ مؤر ۔ یتھ دأنٛتُن نیران چھِ۔

دأنٛتُن گرُن ۔ مِسواکھ گرُن۔

دأنٛتھ ۔ ن ۔ مؤل: دأنٛت < س: دانتہ < س: دَنتہ] ۔ ہُسی دَنٛدُک سُہ سخت حصہٕ یتھ کأنٛہہ خوٗبصوٗرتھ چیز بَناونہٕ یِیہِ یا نقشہِ بیترِ گرنہٕ یِن۔

دأنٛتھو ۔ ن ۔ مؤل: دأنٛتھو < س: دانتہ گہ] ۔ ۱ ۔ ہُسی دَنٛدُک بَنیومُت (چیز) ۔ ۲ ۔ پلاسٹِک ۔ مِ ۔ دأنٛتھو کنٛگو۔

دأیرِ لوٗن، دأیرُن ۔ ۱ ۔ پأنۍ پأنَس ستۍ کأنٛہہ گتھ طے گرٕنۍ ۔ ۲ ۔ وَنُن تہٕ وَنُن تاکید گرُن۔

دأیر ۔ ۱ ۔ اَرِ ۔ گول ۔ ۲ ۔ کزینکہٕ روٗس وأج۔

دأیر بَناوُن ۔ اَرِ گرُن۔

دِپتہِ مان ۔ مؤل ۔ دِپتہِ مان < س: دیپتہِ مان] ۔ چمکہٕ

وُن۔ زوتہٕ وُن۔ پژزلہٕ وُن۔ شانداار۔

دِڑر/دبڑر۔ بَدیسٕژ مادٕ۔ اکھ مۆزٕرٕ ہۆلی گرٕن وول جاناوار۔

دِش۔ م۔ مۆل: دِش <س: دِش]۔ طَرف تہٕ دِ ٕپتھ گو مَشرِق۔ مغرِب۔ شُمال۔ جۆنۆب بیتر

دِشٹھ۔ م۔ مۆل: دِشٹھ <س: اریشٹ + سَتھ]۔ لاگہِ دار۔ سو بمأری یوسہٕ ہٕپیس لارِ۔

دِقتھ۔ م۔ مۆل: دِقت <ع: دِقتہ]۔ ا۔ رُکاوَٹھ۔ روٹ۔ ۲۔ تہٕ یمہٕ ستیٚ کانہہ تنگ ییہٕ۔ مُشکل۔

دِقتھ گژھنی۔ تنگ یُن۔

دِقتھ تِنی۔ رُکاوٹھ گژھنی۔ مُشکل بُتھِ یُن۔ سیتھ تِنی۔ تھوتھ گژھنی۔

دِگ۔ م۔ مۆل: دِگ]۔ توشنہٕ ہندِ پیتہٕ ستیٚ ژیہھ۔ ژوپ۔

دِگل۔ ا۔ یُس دِگہِ دِوان آسہِ۔ ٹۆپُل۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) سُہ اِنسان یُس زُرکہِ دِنگ عادتھ آسہِ۔

دِگہِ دِگہِ کھیوٚن۔ ا۔ اَکس جاناوارِ سُند بیا کھ جاناوار دِگو ستیٚ چھوکہِ لد گرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) پاموتہٕ زُرکو ستیٚ پریشان گرُن۔ ہَنہِ ہَنہِ گالُن۔

دِگہِ دِگ۔ ا۔ (جانا وارَن ہنز) توشو ستیٚ لڑاے۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) وادواد۔ دونکھ دونکھ۔ ژوٚنی۔

دِگہِ دِگ کرُنی۔ دون کوگرن ہنز پانہٕ وأنی تیژ لڑاے کرُنی۔ یتھ دوشوٚنی رَتھ وَسہِ۔ ژوٚنی۔ لوتہٕ لوتہٕ اکھ اَکس زُمچہِ ہٕنہٕ۔ دونکھ دونکھ کرُنی۔

دِگ آسنی۔ ا۔ پھلہٕ ٹھولس پۆتی سٕنزِ توشنہٕ سیٛو دِنیگ گوٚ دنظرِ گژھن۔ ۲۔ دسلایہ گاڈٕ ہُند دٕرلگن۔

دِگ تھوٚنی۔ زَکھ واتناوِتھ تھوٚن۔

دِگ دِنی۔ ا۔ توشنہٕ ستیٚ ژوپ ہیوٚن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) زُرکہِ دِنہٕ۔ زَکھ وارتناوُن۔ اِذا واتناوُن۔

دِگ لگنی۔ تیٚتھ کینہہ گدرُن یمہٕ نِشہ نہٕ سَند اُرتھ ہیکہِ زِ۔

دِگر۔ ن۔ مۆل: دِگر <ف: دِگر]۔ ا۔ پیٚشِنس تہٕ شامَس درمیان وَق۔ ۲۔ دُپہچ تہٕ یمہ نماز یوسہٕ ژور بجے دوہلہِ ہیۆہ پَرنہٕ یوان چھےٚ۔

دِگر نماز۔ پیٚشنہٕ پتچ نماز۔

دِگرَس بأ گہ۔ دِگرَن بأ گہ۔ دِگر وَقتہٕ۔

دِگمبَر۔ ن۔ مۆل: دِگمبر <س: دِگمبَر]۔ ا۔ نون تہٕ ننگہٕ سُنی یاسہ۔ شِوٕ مُند اکھ ناو۔ ۲۔ جینن مَذہبہٕ کِنن سادَن ہُند اکھ فِرقہٕ۔ تِم چھِ ننگے پھیران۔

دِگنی۔ دِگن۔ م۔ مۆل: دِگنی <س: ؟ وپرِ گھکا/ دیرِ گھ گامنی]۔ دار۔ ٹھینچ۔ دگ (آیہِ بیترچ) سُہ پوٚنی یُس تھزرٕ پیٹھٕ جرِ آسہِ وَسان۔ کُنہِ تَرل چیزٕچ دار۔

دِگنی لگنی۔ ا۔ دارلگنی۔ کانہہ تَرل چیز دار لگتھ راوُن۔ پانٹِل چیز جرِ سان پتھر ہکہٕ ٹھکرنہٕ یُن۔ ۲۔ ٹھینچہِ اوش وَسُن۔ رَتھ تیہ وَسُن۔

دِگنہِ وَسُن۔ جرِ وسُن۔ ٹھینچہِ وسُن۔ کُنہِ پانٹِس چیزٕس

ہیتر دار لگنی۔

دِل ا۔م۔مؤل:دِل ح ہ:دہلی]۔دِلہِ ہُند شہر۔ہِندُ ستانٕچ رازدانی ۔دہلی۔

دِلہِ ہنز تھچھ۔(ہزلہٕ پاٹھی) کانْہہ تھکبن لایق مولُل چیز۔

دِل۲۔ن۔مؤل:دِل حف:دِل۔ا۔زُوزاُ ٹھمِرس اَنْدَ ر اَکھ تان۔اُمۍ کامٕ چھےٚ گنْدٕ خوٗن صاف کَرنہٕ باپتھ شوٗشہِ نارِس سوزُن تہٕ شوٗدخوٗن جسمَس لَدٕر باگرن۔۲۔ووتھ۔ژتھ۔۳۔جذبہ۔۴۔(وَرگہ پاٹھی) ہِمَتھ۔جوٗرتھ۔دزٕ۔جِگر۔

دِلس پرٕ یہ وُن۔خوش کرُون۔روژرٕون۔

دِلس تسلادِین۔ا۔رِتچ آنْہہ تھوٕنی۔دِلس سَتھ گرٕنی۔۲۔غم یا دُہمہ ہوٚ مراوُن۔

دِلس تسلا گژھن۔باسُن زِووُنی اَنْدِ یہٕ کیْنہہ۔کانْہہ وومیدٕ یہ روزٕنی۔سَتھ سورٕنی۔بٕڑ انْتھ تراوٕنی۔

دِلس لَگُن۔(وَرگہ)یتھےٚ ہیوٗ گوٗھن۔کدٕر۔گوٗھن۔مَلالہِ گژھن۔وومیز خلاف سپدُن۔

دِلس یتھے ہیوٗ گژھُن۔کانْسہِ ہنْدِ دستہٕ تہٕ سپدُن یہٕ توٚہس خلاف آسہِ۔دِل ہُندرُن۔دِلس لَگُن۔

دِلارام۔ا۔دِلس آرام دِنہٕ وول۔۲۔(وَرگہ پاٹھی) ماشوق۔مَدُن۔مَدنوار۔

دِلہِ جانہٕ۔ف:دِل وجان]۔تَن دِتھ۔پوٚرٕ توجہ سان۔پوٚرٕ پیٚوٗھ سان۔ژُکہٕ سان۔وَزِھ دٲلنچہ۔

دِلچ پھُلےٚ گرٕ تھ آسنی۔گلچ پھُلےٚ کیٛا ییہ بکار۔تہٕ دُپتھ گو ییٚلی کانْہہ پانہٕ سوٗکھ سوو آسہِ تیٚلی باسبس اوٚند پوٚکھ تہٕ خوش۔

دِلہِ کھوٚٹ۔سُہ شخص ییمِس نیٚتھ صاف آسہِ نہٕ۔یَس اَکھ کتھ اَنْدَ ر تہٕ بیٚا کھ کتھ نیبرٕ آسہِ۔

دِلہٕ نتہٕ کلہٕ دِی دِی۔پنْنہِ مرضی نہٕ کیْنہہ بٔلی کہٕ جَبرٕ ن۔

دِلہٕ وول۔ا۔ہِمژ وول۔یَس جبرٕ وتھ آسہِ۔یَس بُڈنظر آسہِ۔۲۔یَس اَتھٕ ووتھ آسہِ۔

دِل بَدل۔پانہٕ وٲنی اَنْدٕ رِ اَنْدٕ رِ۔

دِل بدلِ آینہٕ۔(تہٕ دُپتھ گو) یَس یُتھ گرٕ زِ سُہ گرٕ تیٚتھےٚ۔

دِل پھُٹُن۔ا۔کیْنہہ یُتھ سپدُن ییمہٕ ستی دِلس دَکہ لگہِ۔۲۔(وَرگہ) وومید گژھن۔مویوس سپدُن۔

دِل پھٹرُن۔توٚہس خلاف گرٕتی مویوٗسی پاَدٕ گرٕنی۔ترٕتھ کتھ کرنہٕ۔ییمہٕ ستی دِلس لگہِ۔

دِل چھُ شیشہٕ۔یُتھ وُچھَس تیٚتھ وُچھی۔تہٕ دُپتھ گو یُتھ کانْہہ اور گرٕ تیٚتھ چھُ یورٕ کرنَس تہٕ مَن پژان۔یُتھ یورٕ گرٕ زبس تیٚتھ کری اورٕ تہٕ۔

دِل خستہٕ۔یَس دِل پھُٹمُت آسہِ۔پریشان۔رووٗمُت۔دَکہٕ زَد۔

دِل خاہ۔ا۔مَنہٕ مؤجوٗب۔پسند۔کوٗنچھمُت۔۲۔(وَرگہٕ پاٹھی) یار۔دِلبر۔مَدُن۔مَدنوار۔

دِل خوش۔خوش۔پرٕسُن۔آرامَس منز آسائشہِ منز۔

دِل دیُن ۔ا۔ژٕ کہِ سان کُنہِ کامہِ لگُن ۔توجُہ دیُن ۔
۲۔(ؤرگہِ پأٹھی )۔سَخ لول بَرُن ۔

دِل رَچھُن ۔(ؤرگہِ ) ژٕبیتھ رَچھنی ۔یتھے ہیۄ گژھنہٕ
نہٕ دیُن ۔خلافِ توقع نہٕ کرُن ۔ستھ موجوٗد تھاوُنی ۔

دِل فریب ۔یہِ وُچھتھ دِل مَتہِ ۔ییٚمہِ ستیٚ دِل بُرٕ ییمہِ ۔
رَنٛبہِ وُن ۔

دِل کرُن ۔ا۔ہِمَتھ کرٕنی ۔دَر برزُن ۔جبر ؤتھ ہاوُن ۔
۲۔دِل کانٛہہ تٔژھ کام اَتھس منٛز رَٹنس پیٹھ
آمادٕ کرُن یوسہٕ کام مُشکِل آسہِ ۔گوٚب بور مَتھہِ
ہیوٚن ۔جگر کرُن ۔

دِلکش ۔یُس دِلس پانٛس کُن لمہِ ۔یُس دِلس منٛز جاے
کرِ ۔ یُس دِل نیہِ ۔مأری موٚند ۔

دِلگیر ۔آرٕ کوٚت ۔غمگین ۔یُس دِل پھُٹمُت آسہِ ۔
ہَستہِ پاوِؤ ستھ گومُت ۔

دِل لگُن ۔ا۔رَس لگُن ۔مزٕ یُن ۔کُنہِ کامہِ ۔جایہِ بیترِ
سا دلگُن ۔واریُن ۔۲۔کانٛسہِ عاشق گژھُن ۔

دِل لگی ۔ا۔کانٛسہِ پتھ دِل گژھُن ۔عاشقی ۔۲۔(ؤرگہِ
پأٹھی )ٹھٹھ مسخری ۔

دِل لوٚگ ہلہِ پیٹھ دَب لوٚگ رَبہِ پیٹھ ۔یہِ چھُ
تَمہِ پھِرٕ وَنان ییٚلہِ کانٛہہ تٔژھ یا تَتھس اَکِس
پیٹھ عاشق گژھِ یُس یا یوسہٕ تَتھ یا تَس لایق آسہِ
نہٕ ۔عاشق گژھُن چھنہٕ کُنہِ فائیدٕس ۔رَسمَس
رِواجَس بیترِ پابنٛد ۔

دِل مُژرُن ۔(ؤرگہِ ) کانٛہہ کتھ نہٕ کھٹٕنی سأرِے
اَنٛدرِم کتھ نٕنی پأٹھی وَننی ۔پَژُن گَدرُن بیٚنٛس
باوُن ۔اَنٛدٕ پیٹھ اَنٛدَس تام سأری سے دِل دیُن ۔
وونٛد باوُن ۔

دِل نواز ۔ییٚمہِ ستیٚ دِل خوش گژھِ ۔ییٚمہِ ستیٚ دِل بجا
ییہِ ۔۲۔(ؤرگہِ پأٹھی )ماشوق ۔

دِل ہٕنٛدرُن ۔(ؤرگہِ )توقوٗ ہَس خلاف سپدُن نہٕ
کنٛہ شوق ہیُن ۔

دِلاسہٕ ۔[ن ۔مؤل: دِلاس ،ف: دِلاسا] ۔ا۔دِلس تسلی
(دوکھ زدس بیترِ )ستھ ۔۲۔(کانٛسہِ دیُتمُت )ورتھ ۔
ہِمَتھ ۔حوصلہٕ ۔

دِلاسہٕ دیُن ۔(کانٛسہِ دوکھ زدس بیترِ ) تسلی
دیُن ۔دِل بڈراوُن ۔ہِمَتھ دِنی ۔ستھ کرٕنی ۔

دِلاسہٕ کرُن ۔تسلی دیُن ۔ہِمَتھ بڈرٕونی ۔حوصلہٕ بخشُن ۔
ستھ کرٕنی ۔مَدارٕ کرُن ۔کوٚتٕ ڈر راوُنی ۔

دِلاور ۔ف: دِلاور ]بھودُر ۔طاقتور ۔پہلوان بےٚ خوف ۔
وِیر ۔جبر ؤتہٕ وول ۔ہِمژ وول ۔یُس کانٛسہِ کھوژنہٕ ۔

دِلاوأری ۔بھودُری ۔پَہلوأنی ۔کانٛہہ ہاوٕنی باوٕنی
لایق کام ۔

دِلہٕ مَنٛدُل ۔بےٚ غم ۔بےٚ پَرواہ ۔سوکھہِ موٚت ۔

دِلیر ۔مؤل: دِلیر ،ف: دِلیر ]۔دِلہٕ دور ۔یُس نہٕ وبسرِ ۔ یُس
نہٕ کھوژِ ۔جُرتی ۔جوٗرتھ مَنٛد ۔جبر ؤتہٕ وول ۔

دِلبَر ۔مَدُن ۔مَدنوار ۔ماشوق ۔نِگار ۔دِلارام ۔دِلبنٛد ۔

دِلبری۔۱۔ماشوقانہٕ وَرتاو۔۲۔وونٛدٕ رَچھُن۔خاطِر دأری۔
لول بأگرُن۔مارے پتہٕ موجبتھ ہاوُن۔
دِلبری گرٕنۍ۔لول بَرُن۔مایہ سان پیش یُن۔لولہٕ
متہٕ لاے گرُن۔راحتھ ولتہٕ ناوُن۔
دِلبَنٛد۔۱۔خوش یِوُن۔پزٕنیہٕ وُن۔مأرک موٚنٛد۔
۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) ماشوق۔
دِلچسپ۔دِلس پزٕنیہٕ وُن۔یَتھ گُن دِل لگہٕ۔یَتھ گُن
کَل گَنہٕ۔
دِلچسپی۔رَغبتھ۔مأل۔یَوٚہ۔پزٕ ے۔روٗژ۔
دِلدار۔۱۔جگرٕ وول۔یَس جُبرٔوت آسہٕ۔ہِمتھ وول۔
۲۔دِلس منٛز جاے گرُن وول۔دِل زیٛنَن وول۔
خوش یِوُن تہٕ مأرک موٚنٛد۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھی)
ماشوق۔
لدأری۔دِل رَچھُن۔مَدَد تہٕ اتھٕ روٗٹ گرُن۔
وَقتہٕ وِزِ حوصلہٕ دیُن۔
دِلسوز۔دِل زالہٕ وُن۔(ماشوقس وَنان)
دِمب۔م۔موٗل: دِمب]۔اکہٕ سبزی ہُنٛد ناو۔
دِو۔ن۔موٗل: دِو > س: دِوَ] دِوتا۔
دِوبأگ۔> س: دِو+ بھاگہ]۔دِوتہٕن ہنٛدی نأوی۔
دِوَتھ۱۔م۔موٗل: دِوَت > س: دِوِتا] شۄب۔وُٹھر۔
حوصلہٕ۔
دِوَتھ ٹُلنۍ۔کأنٛسہٕ یِژتھ دار انسانس بے یِژتی گرٕنۍ۔
دِوَتھ نِنۍ۔شۄب نِنہٕ روزٕنۍ۔عَقل نِنہٕ روزٕنۍ۔

دِوَتھ وَسنۍ۔وُچھو" دِوَتھ ووٚتھنۍ"۔
دِوَتھ وائِنۍ۔وُچھو" دِوَتھ ٹُلنۍ"۔
دِوَتھ ووٚتھنۍ۔۱۔کأنٛہہ شۄب نہٕ روزٕنۍ۔بے شۄبی
گژھنۍ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔عَقلہٕ نِشہٕ گژھُن۔
تہٕ گرُن یِہ نہٕ پَزِ۔
دِوَتھ تیٚزۍ۔شۄبہِنۍ۔گتھ ہُنٛد ٹُلہٕ ترٛاوچھُن۔عقٕل
تیزٕنۍ۔
دِوٕژ بَنٛد۔شۄبہٕ دار۔اعتبارٕ وول۔یَس قو دَرتَن
عَقل دِژہِتھ آسہٕ۔گاٹُل۔
دِوَتھ۲۔م۔موٗل: دِوَت > وَیدِک س> دیوَتا]۔دیوی۔
(جمع: دِوٕژ)۔
دِوتہٕ تھأج۔دیوٕیَن ہنٛدِ نأوی تھوٚومُت کھبنہٕ
باوہِتھ تھال۔
دِوتہٕ کِھر/ دِوٕژ کِھر۔دِوتہٕن ہنٛدی نأوی بنومُت
کِھر (یِہ چھُ بٹہٕ رَسم)۔
دِوتہٕ گوٗل۔سوبَتہٕ میٛٹ بیتِر یوسہٕ ہوٚنس۔دِوگوٗنس
پٹھ ترٛاوان چھُ تہٕ پتہٕ چھُ پأنٛس باوان۔
دِوتہٕ وأر۔پۄزالہٕ باپتھ دِوتہٕن ہنٛدِ نأوی بَرِہتھ وأر۔
دِوٕژ طیٛچ۔دِوتہٕ پۄزالہٕ ہنٛز طیٛچ۔
دِوَے۔م۔موٗل: دِوے > س: دِو > پراکرت: دیوٚیہ/
دیوٚکی]۔گُنہٕ بڑٕ استانک یا تیٖر چھُکھ مالہٕ۔
دِوَے لَگنۍ۔مالہٕ لَگُن (گُنہٕ استھانس بیتِر پٹھ)۔
دِویہ رَنگ۔تیٚتھے دوسہٕ دِژ وِس یِوٚہ مأنس پٹھ

آسان چھےٚ۔

دِویہٕ گژھُن۔ بڑس دوہَس پٮ۪تھ زیادٕ ژ گژھُن۔ مأنٛس گژھُن۔

دِوٕ پیٖتر۔ ن۔ مؤل: دِوٕپیٖتر < س: دیٖو+ پِتر]۔ مورٕدَن تہٕ لیش دِنک رَسم۔ ترٛپَن۔

دِوٕ کاو۔ ن۔ مؤل: دِوٕکاو < س: دِویہٕ + کا گہ ]۔ کاوَن ہٕنٛز اکھ ذاتھ۔

دِوُر۔ م۔ مؤل: دِوُر < س: دیٖو+ پُر]۔ مَنٛدر۔ اَستھاپَن۔

دِورِ کٕنٛز۔ گُرِتھ کٕنٛز۔ ییٚمہٕ کٕنٛزِ یوسہٕ مَنٛدرَن لگان اُس۔

دِوتا۔ ن۔ مؤل: دِوتا < س: دیٖو]۔ ا۔ پرٛزلون ووجوٗد۔ نوٗرٲنی ذاتھ۔ ۲۔ مَلایکھ۔ ۳۔ (ورگہٕ پٲٹھۍ) تَس اِنسانَس یتہٕ وَنان یُس فرشتہٕ صِفتھ آسہِ۔

دِوتہٕ مؤن۔ سُہ مُون یا سولَب ییٚتھ کلہٕ گُلیٛک آکار کھارنہٕ آسہِ آمُت۔

دِودار۔ ن۔ مؤل: دِودار < س: دیٖو دارُ]۔ جنگلی گُلبن ہُنٛد اکھ قِسم یُس یژھٕ پٲٹھۍ تامبرَس لگان چھُ۔

دِودار تیل۔ دِودار بچہٕ کڈنہٕ آمُت کُلم چالہِ تیل یُس واریاہَن دَوٲہَن لگان چھُ۔

دِہات۔ < ف: دیہات]۔ گام۔

دیٖد۔ ن۔ مؤل: دیٖد < ف: دید]۔ اُچھ۔ ۲۔ نَظر۔

دیٖد دأنِستہٕ۔ زأنِتھ مأنِتھ۔ وُچھتھ دأچھتھ۔ وُزِتھ شوٗزِتھ۔ مولوٗم۔ اُستھ (خاص کٔرِتھ اَتھ کرنَس پٮ۪تھ وَنان)۔

دیٖد دوٗر۔ بےٚ شرم۔ بےٚ حیا۔

دیٖد وٗر۔ نظر دول۔ زانَن وول۔ سُہ ییٚمِس سُنٛز نظر آسہِ۔

دیٖد مان۔ اُچھَن بزوٗنہٕ گنہٕ۔ درِشٹھمان۔ (کانٛسہٕ) بزوٗنہٕ گنہٕ۔ تھی۔

دیٖدار۔ ن۔ مؤل: دیٖدار < ف: دیدار]۔ ا۔ زیارتھ درشُن (یژھٕ پٲٹھۍ گنہٕ مُتبرک چیزِک)۔ ۲۔ کانٛسہٕ ستۍ مُلاقاتھ۔ کانٛسہٕ سمکھُن۔ ۳۔ تراے گراے۔ خولہٕ خط۔ چال۔ م: خوش دیٖدار۔

دیٖدارَس گژھُن۔ ۱۔ کانٛسہٕ ہُنٛدِ مُلاقاتہٕ باپتھ گژھُن ۲۔ زیارتھ کرنہٕ باپتھ گژھُن۔

دیٖدار دیُن۔ ۱۔ درشُن ہاوُن۔ ۲۔ سمکھُن۔ بُتھ ہاوُن۔

دیٖدار کرُن۔ ۱۔ کُنہِ مُقدس چیزٕچ زیارتھ کرٕنۍ۔ درشُن وُچھُن۔ ۲۔ بُتھ وُچھُن (کانٛسہٕ ہُنٛد)۔

دیٖدار ہاوُن۔ ۱۔ کانٛہہ مُقدس چیز لوٗکَن ہاوُن۔ لوٗکھ کُنہِ مُقدس چیزُک درشُن کرناوُنۍ۔ ۳۔ بُتھ ہاوُن۔ سمکھُن۔

دیٖش۔ ن۔ مؤل: دیٖش < س: دیشہٕ]۔ ۱۔ مُلکھ۔ علاقہٕ۔ ۲۔ دَنِن رِنٛدنَس مَنٛز سوٗ جاے یوسہٕ باجٕ ہُنٛد ناوٕ ترٛاونہٕ یوان چھےٚ۔ م: دیٖشو پانو۔

دیٖشہٕ ساوے۔ سارِنۍ لوٗکَن ہُنٛد وارٕ وَتہٕ آسُن۔ مُلکُچ بجٲیی۔

دیٖشہٕ شوٗبے۔ (ہزلہٕ) خُجالتھ۔

دیٖشہٕ کوٗ ڈُمت۔ (ورگہٕ)۔ بدنام گومُت۔ کوٗ ڈُمت۔

دٖپشہِ ؤیہوٗژ۔ لوٗکن نِش بتھ دیُن لایق روزنہٕ باپتھ۔

لوٗکہٕ ؤیہوٗژ۔

دیٖش کال۔ن۔موٗل: دیٖش کال <: دیشہ + کالہ ]۔

ا۔زمان ومکان۔۲۔ ماحول (پرٛ مانٛد)۔۳۔وار وستار۔

دیٖگر۔موٗل: دیٖگر <ف: دیگر]۔وَکھر۔بیٛدوٗن۔مِ سوالِ دیٖگر۔

دیٖگچہِ۔ن۔موٗل: دیٖگچ <ف: دیگچہ ]۔دیگ۔سَرتلہٕ یا ترٛامُو رَنہٕ ٹنٛک اکھ بوٚڈ بانہٕ۔ اَتھ چھُ گوٚل تنٛگ تہٕ ژوٚک کھوٗل آسان تہٕ بیٖنہٕ چھُس ڈب آسان۔

لوٗکٹ دیگ۔بتہٕ رَنہٕ ٹنٛک لوٗکُٹ ڈبہٕ داردلتہٕ بانہٕ۔

دیٖگچہٕ وأر۔لوٗکٹ دیگ۔لوٗکٹ دیگ۔یتھ مَنٛز واز وُرِ بیٛتر پٹھ سیٖن چھِ رَنان۔

دیٖن ا۔اورُت۔ہیوٗن دُکھی۔

دیٖن ۲۔ن۔موٗل: دیٖن <ع: دین ]۔ا۔جزا تہٕ سزا دیُن۔مَذہب۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) اصوٗل۔

دیٖنہٕ بوج۔پنٛنہِ مَذہبک۔یُس ہتی مذہب دَلان آسہِ۔

دیٖندار۔ا۔یُس مَذہبس پٹھ پزٛھ آسہِ۔مَذہب مانَن ووٚل۔۲۔مُسلمان۔۳۔پرٛہیزگار۔نمازِ گُذار تہٕ پزٛ یور۔پارسا۔

دیٖن دَیال۔ن۔موٗل: دیٖن دَیال <س: دیٖنہ + دَیالُہ ]۔اُدٕ تبن یا ییٚمتبن پٹھ رَحَم کَرَن ووٚل۔تہٕ ذُیتھ گودَے۔

دیٖو۔ن۔موٗل۔دیٖو <س۔دیو]۔دِوتا۔دِوِتا صِفتھ اِنسان۔

دیٖوا دِیٖو۔تھدِ تھوٚد دِوتا۔

دیٖولوٗک۔دِوتہن ہنٛد روزُ نٛک عالَم۔

دیٖوی۔[م۔موٗل: دیٖوی <س: دیوی]۔ا۔دِوتا لفظُک ماژ۔

۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔شِلہٕ مان۔رِژ زَنانہٕ

دیٖوی بَل۔یتھ جایہِ دیٖوی ہٕنٛز تھاپنا آسہِ۔دیٖوی ہُنٛد اَستان آسہِ۔دیٖوی دار۔

دیٖہہ ابمان۔ن۔موٗل: دیٖہہ ابمان <س: دیہہ + اَبھمانہ]۔پنٛنہِ نِس پأنٛس پیٹھ ناز۔گمنٛڈ۔

دیٖہہ اَنٛدکار۔ن۔موٗل: دیٖہہ اَنٛدکار <س: دیٖہہ + اَنٛدھ کارَ]۔ شَرپرُک مَد۔پنٛنہٕ پانٛک نِشہٕ

دِٕ۔پھسراے۔لوتہٕ گتھ۔سرصَدا۔ پھُٹٕ گرٛژھُن۔ کٕہنہٕ نہٕ وُنتھ ہیکُن۔ژھوپہٕ گژھنۍ۔کوٚل گژھُن۔

دِرٕ۔ا۔ہوٗن ژلراونہٕ باپتھ آواز۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) کٔڈِتھ ژھُن۔پلنہٕ ناوُن نہٕ۔۳۔بے قدری کرٕنۍ۔

دِرٕدِرٕ کرُن۔ہنہٕ دِژنہٕ کرٕنۍ۔وولہٕ وولہٕ نہٕ گرُن۔

نکھہِ نہٕ ینہٕ دیُن۔پانہٕ ناوُن نہٕ۔

دِرکھ۔وُچھو"دِژکہٕ" جمع دِرکہٕ

دِرکانٛزِ۔<س: دَیوَر + ک: کانٛزِ۔م۔ہ: کاکی] دِژے ہنٛز زَنانہٕ۔

دِرکا کنہِ بوٚد۔زنانَن ہُنٛد اکھ اَکس کھہنس پٹھ آسُن۔

دِرکا کنہِ باپار۔پتر وُت۔دونٔکھ دونٔکھ۔

دِرکا کنہِ تون۔پتر وُت۔وُچھو "دِرکا کنہِ بوٚد"

دِش۔م۔موٗل: دِش <س: دوٚیشہَ]۔دِے۔نفرتھ۔

ڈُشن ۔م۔ڈشن <س :دؤشنہ ] ہانژ۔توہمتھ۔
ڈشن کھارُنی ۔ہانژ لاگنی۔اِلزام دیُن۔توہمتھ کھارُنی۔
ڈشن گژھنی ۔بناوتھ ییُن۔
ڈَن ۔م۔مؤل:ڈَن <س:دھؤنہ ]۔۱۔اکِہ اکِہ ۔۲۔مؤلِہ
پپٹھ تہِرس تام گنہٕ اکِہ ۔۳۔ژھٹھ کڈُنچ کام۔
زور اوِر یور چھاونہٕ ستی پلوٗس بیترِ گرد کڈُنچ کام۔
۴۔تھر تھر۔خوف۔۵۔(ورگہِ پاُٹھی) چھانٔ
(کلُس)۔۶۔لارُن۔
ڈَن دِنی ۔۱۔اکِہ اکِہ ژانُن۔اَلِہ راوُن۔۲۔ژھٹھ کڈُنی
(گرد بیترِ کڈنہٕ باپتھ) ۳۔(گل بیترِ) چھانُن۔
۴۔(ورگہِ پاُٹھی) وِہ گرنی۔شکل بدلاونی (پانٔس
نٹھ نٹھ ژانٔتھ)۔
ڈَن گرنی ۔۱۔اَلِہ راوُن۔ہیر بونہٕ اکِہ اکِہ ژانُن (کلُس
بیترِ)۔۲۔(ورگہِ پاُٹھی) روب داب گرُن۔
تیٚوت روب گرُن ییُتھ زن بوزن وألس تھر تھر
اَژِ۔بےٚ وأری گرنی۔
ڈَن گژھنی ۔۱۔(سأری سے پانٔس) اَلِہ اَلِہ گژھُن۔
نٹھ نٹھ اَژنی ۔۲۔ترِ گنڈی پھٹنی ۔۳۔کأنسہِ ہنز
خراب حالتھ وِچھتھ لارنہٕ گژھنہٕ۔
ڈُنن ۔دِنہٕ ناوُن، دِنہٕ وُن۔۱۔ژھٹھ کڈُنی۔اوِر
یور چھاوُتھ گرد کڈنی ۔۲۔(کلُس بیترِ) چھانٔ
دِنی ۔۳۔پتھر چھاونہٕ آمت شخص نرِ بن پپٹھ
تلِتھ چھوکہِ ڈُن ییُتھ تس حبس پھیرِ۔دباونہٕ
آمتس شرس بیترِ حبس پھِرنہٕ باپتھ جسم اَلِہ
راوُن۔۴۔(ورگہِ پاُٹھی) سخ روب داب گرُن۔
ہتہِ پاوِ وأُلتھ ژھٹُن۔
ڈہ ۔ن۔مؤل:ڈہ <پراکرت:دھؤ وم اُ۔ <س:دھؤمہ
/دھؤمشہٕ ]۔۱۔دزِ دِنس چیزس یُس کرہن بلہہِ
ہیٚؤ دوتھان چھُ ۔۲(ورگہِ پاُٹھی) سگریٹھ۔تموک
بیترِ۔م:ڈہ دیُن (تموک چوٗن)۔۳۔ژھوکھ۔
م:ڈہ چھکُن ۔۴۔دُم۔سختی ۔۵۔شرارتھ۔
ڈہی بُشنگ ۔ڈہی گٹہ کار۔ڈہی لمبکھ۔تیٚوت ڈہ دوتھن
ییُتھ کینہٕ تہِ بوزنہٕ یِیہ نہٕ۔
ڈہی رنگ ۔گمے گمے ڈہ۔ڈہی مویا۔
ڈہی ژھپتے/ژھوپے۔ماتم۔پھٹنی پھوکھ۔مرگذارِ چ
ہش ژھوپہ۔
ڈہی گژھُن ۔۱۔(گنہِ چیزس) ڈہی رنگ کھسُن۔رنگ بگرُن۔
ہلیہِ گژھُن۔دیہہ ستی کرِیہنُن ۔۲۔دِچ آمُن گژھنی۔
(سٔنس دودس بیترِ) ۳۔(ورگہِ پاُٹھی) مشتھے
گژھُن۔استیمالہٕ روٗستے ضایہ گژھُن۔
ڈہی لد گگر ہیٚؤ ژلُن۔تتھے پاُٹھی ژلُن ییتھ پاُٹھی گگر
ڈہنیک پتھر لگنہٕ ستی ژلان چھُ۔شوٗ ؤز دِگژھتھ
دوترِ اوٚنی ہأرتھ ژلُن۔خجل گژھتھ ژلُن۔
ڈہی لمبکھ ۔ڈہی گٹہ کار۔واریاہ ڈہ۔ہوٚبس ستی
دزِ آمت سبٹھاہ ڈہ۔
ڈہ ٹلُن ۔واریاہ ڈہ نوٗ وراوُن۔(ورگہِ) گٹہ کار ملہِ

ناوُن۔ تیزی کَرٕنؠ۔ روب داب کرُن۔ دُم ٹلُن۔

دٕہ تراوُن۔ دزٕ بزٕ آسُن۔ کانٛہہ پانَس برابر نہٕ ہیوٗن۔

دٕہ چھکُن۔ ۱۔ دزٕ بزٕس منٛز پکُن۔ ۲۔ سَخ شرارتَس منٛز آسُن۔ شرارتہٕ بوٗزتھ آسُن۔ ۳۔ کُنہٕ نہٕ وبُن۔

دٕہ دِتھ کڈُن۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ستیچہٕ ٹلتھ کانٛہہ ژلنس پتھ مجبوٗر کرُن۔ ژلنس واتناوُن۔

دٕہ دیُن۔ ۱۔ (کُنہٕ دزٕ وٕنہٕ چیزٕک) دٕہ دِتھ ژلراوُن (لگر ہیٹر) ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) تموک یا سگریٹھ چوٗن۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھی) گالُن۔ مؤلہٕ موٗنجہٕ ختم کرُن۔ بیٚخ گالنٕی۔

دٕہ کڈُن۔ ۱۔ دٕہ نیرنَس وَتھ دِنٕی۔ ۲۔ تنٛگ اَنُن۔ نستہٕ کٕنٛی کڈُن۔ چیرٕ ٹلُن۔

دٕہ لگُن۔ ۱۔ دٕہیک ٹیچھر لگُن۔ ۲۔ تنگ یُن۔ قرار نہٕ یُن۔ گنٛڈی لگنٕی۔

دٕہ ووتھُن۔ ۱۔ دٕہ نیرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) سَخ پٕژتھ گاہ لگنٕی۔ دُم ووتھُن۔ ۳۔ (کُنہٕ) سَخ خُرپد اری لگنٕی۔ تھپہٕ تھپہٕ لگنٕی۔

دٕہر۔ م۔ مؤل: دٕہر <س: دَھٹہ۔ م۔ ہ: دھڑی] ۔ اَکھ وَزن۔ خام ترٛے سیر۔ پٕزلنہٕ ساڑٕ داہ پاو۔ لگ بگ ڈاے کلو۔

دٕبُل۔ [ن۔ مؤل: دٕبُل <س: دابہ + ال] ۔ شتٕھر۔ دُشمن۔

دٕے۔ کھٕر۔ نفرتھ۔

دٕے بوزٕنٕی۔ ووپراٚزی بوزٕنٕی۔ ہشی نظر نہٕ تھوٚنٕی۔

دٕے گَرٕنؠ۔ نفرتھ کَرٕنؠ۔ کانٛسہٕ ہنٛز کھٕر کَرٕنؠ۔

دٕے گَرِتھ دِنٕی۔ دون زَنٛنن یا دَربن منٛز پھاس تراوُن۔ کُن بُرتھ نفرتَس دُتش دیُن۔ اَکھ اَکِس نشہٕ بدظوٗنی پاد کَرِتھ دِنٕی۔

دٕے گُژھنٕی۔ نَفرتھ گژھنٕی۔ کھٕر گژھنٕی۔

دیُن۔ [ن۔ مؤل: دٕے <س: دیوَنہٕ۔ دٕو] ۔ ۱۔ پچھتاوُن۔ افسوٗس کرُن۔ ۲۔ ماتم کرُن۔ غم ہیوٚن۔

دیُن پیوٚن۔ ۱۔ ماتم پیوٚن۔ ہٹہٕ ہٹہٕ غم پیوٚن۔ ۲۔ بَدخبر بوزٕنٕی۔

دٕپ ۱۔ زوٗ۔ لاٗنک۔

دٕپ ۲۔ [ن۔ مؤل: دٕپ <س: دیپہ ] ۔ ژونٛگ یا سوٚزتی یوسہٕ پوٗزایہٕ اَنٛدر رٕتھو نہٕ چھے یوان۔

دٕپ مالا۔ [م۔ مؤل: دٕپ مالا <س: دیپہ مالا] ۱۔ زوٗل۔ ۲۔ دیواٗلی۔ اَکھ بوٚڈ دوہ یُس کارتِکہٕ ماسہٕ چھُ آسان۔ لَہِ دوہہٕ چھُ شامَن زوٗل یوان کرنہٕ۔

دِتھ۔ [ن۔ مؤل: دٕت <س: دوُتہ ] ۔ قاصد۔ م: یمہٕ دِتھ۔

دٕل دَکھ۔ وِچھو ''دۆنی'' لفظس تَل۔

دُ۔ <ف۔ دولفظُک ژھوٚٹ/س۔ دوِ] ۔ زٕ۔ اَکھ بُزنہہ لوٗگ۔ م: دُژیوٚت۔ دُپاسے۔

دُبرٕ ژونٛگ۔ دُنٛج۔ دُگانٛگلہٕ۔

دُبرٕ شاہ۔ دُطرفہٕ ہس۔ دُگانٛگل۔

دُبرٕ شاہ روزُن۔ (وَرگہٕ) دُگانٛگلہٕ گژھن۔

دُبرِشاہ گرٛژھُن ۔وُچھو ’’دُبرِشاہ روزُن۔‘‘
دُباشِر ۔دوٚیہِ اَنٛدٕ ۔کُنہِ فاصلس پٮ۪ٹھ نہٕ واتنٕچ حالتھ ۔
آور بریا ترٛغاب ۔ہُتھ تہٕ ٹھۄکھ ۔یتھ تہٕ ٹھۄکھ ۔
دُبٕرۍ ۔دون پنٕہٕ ہُن ہنٛزٕ اکھ ژادر ۔دُپچِل ژادر ۔
دُبٕرۍ گرٛژھُن ۔دون تہٕ ترٛن گرٛژھن ۔اوگ بوگ تہٕ
یُن ۔دُرٛج گرٛژھن ۔
دُبوٗر ۔یتھ زٕ برٛ آسن ۔
دُپچِل ۔دُپاٹھ (ژادر بیترٕ) دون پچَن وأٹھ
بنأوِتھ گنٛنی (ژادر)۔
دُپاسے ۔[<س: دوٕ+ پارشوے ]۔اکہِ اَنٛدٕ تہٕ بیٚیہِ
اَنٛدٕ تہٕ ۔اورتہٕ تہٕ یورتہٕ ۔دُطرفہٕ ۔
دُپُتر ۔[ن ۔مؤل: دُپتر <س: دوٕ+ پتٕر ]۔یتھ زٕ ؤتھر درٛامتۍ
آسن ۔یتھ تاز تاز ترٛآسہِ درٛامُت (بیول)۔
دُپچھ ۔[ <س: دوٕ + پکشہ ]۔تِیُتھ فصل یُس رتَس
کھنٛڈ سے منٛز تیار گژھہِ ۔
دُپوٗر ۔ [ <س: دوٕ+ پُرٛ ]۔دون منٛزلَن ہُند ۔سوجاے
بیترٕ یتھ زٕ پور آسن ۔
دُپوٚچھ ۔ن ۔مؤل: دُپچھ <س: دوٕ + پکشہ ]۔دون پچھن
ہُند ۔تہٕ یہِ اکھ رتھ بزٕ وُنہہ بناونہٕ آسہِ آمُت ۔
ماسیُن ۔
دُپوٚل ۔[ <: دوٕ+ پَلہ ]۔اکہِ قسمُک دستار ۔یتھ ڈوڈ
چھٹانگ تامتھ وزن اوس آسان ۔
دُپھوٚل ۔[ <س: دوٕ + پھلہ ]۔سہ زمین یتھ وُرۍ

یُس منٛز زٕ فصل آسن ووتھان ۔
دُترٛچ ۔م ۔مؤل: دُترٛچ <س: دوٕ+ ترٛگہِ ]۔۱۔یتھ
زٕ ترٛکھ وزن آسہِ ۔۲۔زٕ ترٛکھ حسابہٕ پرٛ مانہٕ ۔مِ
: اَسہِ چھےٚ دُترٛچ رچھِ دِنۍ ۔
دُتوپھ ۔ن ۔مؤل: دُتاپ <س: دوٕ + تاپہ ]۔یتھ
زٕ تاپھ دِنہٕ آسن آمتۍ ۔دوٚیہِ پھِرٕ تاپومُت ۔
دُتوٗش ۔مؤل: دُتاپ <ف: دو+تاہ ]۔دُوور ۔یتھ زٕ وار آسن ۔
دوٗ گناونہٕ آمت ۔یتھ ژادر بیترٕ زٕ تاہ آسن ۔
دُٹُکھ ۔ن ۔مؤل: دُٹکھ <س: دوٕ+ٹنک ]۔زٕ حصہٕ ۔زٕ چھلہٕ ۔
زٕ ٹکرٕ ۔
دُٹٕنۍ سال ۔سہ سال یمہِ خاطرٕ کورٕ مالہٕ کھوٚ گوٚبرٕ
مالہٕ پرٛژھمُت آسہِ ۔
دُٹوٚپ ۔۱۔سہ زوٗن یُس دوشوٗنۍ پکھٕن ستۍ رِشتہٕ
آسہِ (کورِ والین ستۍ تہٕ گوٚبرٕ والین ستۍ تہٕ)
یُس دوشوٗنۍ جایَن سال آسہِ کھوان ۔۲۔(وازٕ
پأٹھۍ) دوگنأوِتھ سیُن ترٛاوُن ۔
دُٹوٗک ۔یتھ زٕ تان وأٹھ آسان ۔
دُدلال ۔اورٕچ گَتھ یورٕ تہٕ یورٕچ گتھ ہور ونُن
وول ۔مُنافق ۔دُپھٕن دلاز ۔
دُدوٗل ۔ن ۔مؤل: دُدَل <س: دوٕ + دلہ ]۔دوٚیہِ پھِرٕ مُنٛنہٕ
آمت ۔یتھ دان دَل تہٕ تو ملہٕ دَل دِنہٕ آسہِ آمت ۔
دُدوٗند ۔دوٚہرٕ جِھرٕ گتھ ۔
دُڈوٗٹگ ۔[ن ۔مؤل: دُڈٹگ ]۔دوٗسِ منٛز دوٚیہِ پھِرٕ ۔دوٚیہِ

کالہٕ۔یتھ زٕ ڈَنگ کڈٕنۍ آسَن۔دون ڈنگن کیٚت۔

دُروٗٹ۔ن۔مۆل:دُرَٹ ]۔وَزنس وَزَن تہٕ بیٚیہٕ تیٚوٚت۔اَگنس دوگنہٕ۔

دُروٗ نگ۔[ن۔مۆل:دُرنگ <ف:دُرنگ۔م:س: دوٕ+رَنگہ]۔یتھ زٕ رَنگ آسَن۔دون ذاتَن ہُنٛد۔دُقسمی۔

دُرویہٕ۔وَناوُنۍ کرَن وول۔مُنافق۔

دُروخہٕ مات۔شطرنجس منٛز دوٚیوٚ روخو سۭتۍ بازی ہارناوُن۔

دُزونگ۔[۔ن۔مۆل:دُزَنگ <س: دوٕ+جنٛگھ]۔
ا۔زٕ زَنگہٕ وول یتھ یا یمس زٕ زنگہٕ آسَن۔یُس دون زَنگن پیٹھ اِستادٕ گژھہ۔(وَرگہٕ پاٹھی) اِنسان۔۲۔پرکار۔

دُژور [ن۔مۆل:دُژار <س:دوٕ+چیٚر]۔سُہ دان یتھ زٕ ژارٕ آسَن۔دان یتھ زٕ لگ آسَن۔

دُژیوٚت کرَن۔کوچہ پھیٚر کرُن۔غلط وَتہٕ لاگُن۔

دُژیوٚت گژھن۔اکہٕ چیز بدلہٕ بیٚیہٕ چیزٕک بزم گوژھن۔بزمہٕ کنٛز اکھ پوٚو بیترٕ ترٛاُوِتھ بیٚیس پیٹھ لتھ تھوٚنۍ۔نظرٕ دوکھ لگُن۔

دُسپر۔[م۔مۆل:دُسپر <س:دوٕ+سیکہ]۔دون سیرَن ہُنٛد گنٛیہٕ پرمانہٕ۔

دُشَرطس پیٹھ۔[۔ن۔مۆل: دُشرٕط <ف:دو+ ع: شرط]۔شبقہٕ پاٹھی نہ۔دُل مُل۔

دُکلہٕ۔[<ف۔دُ+کلہ]۔ا۔زٕ کلہٕ کرِتھ تہٕ دٕپتھ گو سُہ شخص یُس کلہٕ بوڈ آسہٕ۔ٹنٛکی دار کلہٕ وول۔
ا۔چکن کامہٕ اَنٛدر کنۍ ٹیٚیہ کڈیٚ متۍ زٕ پھلی۔

دُکانیل۔ا۔دون ذاتَن ہُنٛد۔دوغلہٕ۔۲۔(وَرگہٕ پاٹھی) موٚٹ دژ ووٹ۔وُسوارٹو کہٕ۔

دُکاش لد۔یمہٕ زٕ فاقہٕ آسَن کرِ متۍ یا ذرٕ کرِ متۍ۔یُس دون دوہَن وولُس آسہٕ گومُت۔دون دوہَن ہُنٛد سگلے۔

دُکالہٕ۔ا۔زٕ چھلہٕ۔۲۔ژھل (کرُن)۔یمہٕ سۭتۍ اکہٕ بدَل زٕ ہین کھہنہ (تاسہٕ پتہٕ بیترٕ)۔

دُکول۔[ن۔مۆل:دُکال <س:دوٕ+کالہ]۔ا۔دون کالَن۔دون وَقتَن۔دویہ پھرٕ۔۲۔یہ دون کالَن پوشہٕ۔

دُکون۔ن۔مۆل:دُکان <س:دوٕ+کانہ]۔سُہ شخص یُس دولہٕ وُچھان آسہٕ۔شور۔وولہٕ۔سُہ (شخص) یُس اکھ اچھ اڈٕ وٕژھ آسہٕ روزان۔

دُکھرٕوپ۔[ن۔مۆل:دُکھرٕپ]۔یتھ دون جایَن بٕتھ آسہٕ ژامُت۔

دُکھرٕوو۔[<ف:دُ+ک۔کھرٕاو۔م۔کھرٕاوں]۔
ا۔سُہ گُر یُس دووٕری دون کھرٕاوَن پیٹھ وُژمُت آسہٕ۔۲۔سُہ شخص یمس دون کالن پیٹھ لتھ آسہٕ (وَرگہٕ پاٹھی) ہورتہٕ تہٕ یورتہٕ۔

دُکھانٹھ۔یتھ منٛز زٕ حصہٕ آسَن گامتۍ۔یتھ زٕ کھانٹۍ

آسَن ۔اَڈ پھٹ تومُل ۔

دُ کھمبیُل ۔دُ شاخَل ۔ سَہ لوٗٹھ بیترِ یا تِتھے کانٛہہ چیز یتھ بڑ ونٹھ زِ لنجہ آسَن ۔

دُ کھورا۱ ۔ [<س:دوٗ کھارَ]۔(چکلہِ ریٹہٕ مؤجب) تیژ زمین یتھ زِ کھارٕ فصل نیرِ ۔

دُ کھور۲ ۔ن ۔مؤل : دُ کھوٗر< س : دوٗ + کھرَ ]۔سَہ کھور بانِ جورِ یتھ دون ہنٛدیٚ زِ کھور آسَن ۔

دُ گانٛگل ۔دُ گج آسنٕچ حالتھ ۔

دُ گانٛگلہِ گرٕ ژھن ۔راوُن زِ کیا کَرٕ ۔دوییہ طرفہ لَمہٕ لَم آسٕنۍ ۔ییمہِ کتھہِ ہنٛز پریشانی زِ دوییَو وتو منٛز کمہِ وَتہِ نیرِی زِ۔ کُنہ پتھ عمل نہٕ کُرتھ ہکُن ۔

دُ گوٗل ۔یتھ زِ گوجہِ آسَن ۔

دُ گوٚب ۔ا ۔یتھ زِ خانہٕ آسَن ۔۲۔یتھ بیاَلس زِ تَر آسَن وژا اتیٚ ۔یتھ زِ اَلگ اَلگ حِصہٕ آسَن ۔ م: دُ گوٚب ٹھوٗل ۔۳۔سبٹھا گوٚب ۔

دُ گوٚت ۔ [<س: دوٗ + دیدِ ک: گرٕ تہٕ ]۔یتھ زِ خانہٕ آسَن ۔(ٹھیلہٕ بیترِ ) کھٹتھ تہٕ وٚنتھ تھومٕہٕ ستیٚ ستیٚ زِ جایہ (ژادرِ بیترِ )۔

دُلوٚر ۔ن ۔مؤل: دُلَر <ف: دُ+ پرٛاکرت: لَٹ بٕہ آ]۔ یتھ زِ لَرِ آسَن ۔دون پٔٹن ہُنٛد ۔دوٗ گُن (ہٕٹہٕ وَس بیترِ )۔

دُلوٚ نگ ۔ن ۔مؤل: دُلنٛگ <ف: دُ+ لنگ/س: دوٗ +لنٛگہ ] ا ۔یتھ زِ لنجہ آسَن ۔دُ شاخَل ۔ م: دُلوٚ نگ گُل ۔

آرٕک دُلوٚ نگ ۔دُلوٚنگ کٔڈِل ۔۲۔دوٗ نگ ۔ یَس دوشوے زنٛگہٕ وَنجہِ آسَن ۔۳۔(کولوٚ نگ ۔ بڑگ بیترِ ) زیچہِ زنٛگہٕ کُرتھ جاناوار ۔

دُموٚن ۔ن ۔مؤل: دُمَن <ف: دُ+ع: مَن]۔سیرٕ لُکِس منٛز دوییم خانہٕ ۔

دُواپھ ۔[<س: دوٗ + واپہ]۔دُفصلی ۔

دُووٚر ۔ن ۔مؤل: دُوَر <س: دوٗ + پرٛاکرت ۔دُوِہڑوم ۔ہ ۔دوہرا]۔ا ۔یتھ زِ تاہ آسَن ۔دون تہٕہن ہُنٛد بٔنیوٗمُت ۔۲۔دُ توش ۔۲۔دون لَرَن ہُنٛد ۔دُپوٚن ۔ ۳۔دون سیر بن ہنٛدِ موچرِ کھارنہٕ آمُت دیوار یا لَب بیترِ ۔

دُووق ۔ن ۔مؤل: دُوَق <ف: دو+ع: وقت]ا ۔دوییہ ڈنٛگہٕ ۔کوج تہٕ کال ۔دوہَس منٛز دوییہ پھِرِ ۔ ۲۔سَہ کھین ییہ دون وَقتن (صُبحہٕ شام) پوشہٕ ۔

دُووپھ ۔ن ۔مؤل: دُواپ <س: دوٗ + وَاپہ ]۔یتھ وٚریٚ یَس زِ فصل آسَن نیران ۔دُفصلی ۔

دُوور ۔وچھو ''دُ توش ۔''

دُووٚنی ۔سَنگم ۔دون کولَن ہُنٛد میُل ۔

دُوبزٕر ۔ن ۔مؤل: دُوبزر <س: دوٗ + وِد ]۔اَرکس تہٕ بیٚیہ سُنٛد قدٕر اَلگ اَلگ زانُن ۔

دُب ۔ن ۔مؤل: دُب < آوازٕ پتھ ]۔ا ۔ٹھکھ (برٕس بیترِ ) ٹھک ۔۲۔کانٛہہ چیز پھٹنٛچ آواز ۔ترٹھ بیترِ پیٚنچ یا بَم پھٹنٛچ آواز ۔ م: بٔنبہٕ دُب ۔

دُبرارے ۔ا۔(بَرَس ہیتھ) ٹُنس پتھ ٹھک ٹھک۔
۲۔ دِل تیز ووچھنچ آواز۔

دُب دُب ۔ا۔(دَروازَس ہیتھ) ٹھک ٹھک کَرنچ آواز (بَرمُئہ راوَنہٕ باپتھ)۔۲۔ دِل ووچھنچ آواز۔
دُبراے۔

دُب دُج ۔ دَروازَس ٹھکہ راے۔

دُب گرٛژھن ۔(دُپ گرٛژھن)۔ا۔ کانٛہہ گۄب چیز وَسِتھ پیٚنچ آواز یِنۍ۔۲۔ تَرُٹھ پیٚنۍ۔۳۔ شورِ گولہٕ یا بَم ہیتھ پھٹُن۔

دُبارٕ [ح ف: دُبار/س: دۄ + وار]۔ دۄ یِمہٕ لٹہٕ۔ پھِرتھ۔
نۆسَر: م: دُبارٕ آوزِنمس۔

دُبارٕ دُنۍ یہس یِن ۔(وِرگہ) کُنہٕ مُصیبَتہٕ یا سخ بمار تلہٕ نیرٕن۔ بڈٕ مُشکلہٕ سان بچُن۔ مُری مُری نۆو زِنمہ لبُن۔

دُبارٕ زِنمس یِن ۔ وُچھو "دُبارٕ دُنۍ یہس یِن۔"

دُبارٕ یِن ۔ا۔ دۄ یِمہٕ پھِرِ یِن ۔ دۄیِم لٹھ گَرٕنۍ۔
۲۔(وَرگہ پاٹھۍ) کُنہ سخ بمارِ ہیتھ تلہٕ نیرُن۔ مُری مُری بچُن۔

دُپہ ۔[<: ? اَدھ+ بھو]۔ وُکراوِتھ]۔ ہیٚریُم بون ۔ گۆل یا بُتھ تَل کُن کُرتھ۔

دُپہ پیٚوُن ۔ا۔ گۆل یا بُتھ تَل کُن گوژھُن۔ بُتھۍ کِنۍ پیٚوُن۔ کَلہٕ بِنٛزِ لاینہٕ یِن۔۲۔ چونٛٹھ زُمینہٕ دِتھ پھیرُن۔ یڈٕ تھرِس کُن دِتھ پھیرُن (نیندر رنٛزِ)۔

دُپہ پھِرُن ۔ا۔ گۆل یا کَلہٕ تَل کُن تہٕ ژُوک ہیٚور کُن گَرُن ۔ ژُوک پھِرُن۔ ہیٚریُم کانٛہہ بانہٕ ہیتھ خالی کَرنہٕ باپتھ بون کُن پھِرُن ۔۲۔ بُتھ تَل کُن کُرِتھ ساوُن یا تھَوُن۔ بُتھۍ کِنۍ ساوُن ۔ یڈٕ بون کُن کُرِتھ تھَوُن ۔۳۔(وَرگہ پاٹھۍ)۔ ثلُک پیٹھ گَرُن ۔ تباہی گَرٕنۍ۔

دُپہ پھیرُن ۔ بُتھ یا گۆل ہیتھ پیٹھ کُن اَستھ تَل کُن کُرِتھ روزُن۔ بُتھ زُمینہٕ دِنُن ۔۲۔(بانٛس ہیتھ) گۆل تَل کُن کُرِتھ سورُے کینٛہہ نیرِتھ ژَلُن ۔۳۔ ہیٚریُم بون گرٛژھُن ۔۴۔ حِسبہٕ بانٛس ووتھُن۔ م: وانٛگُن چھَم دُپہ پھیران۔

دُپہ کَلہٕ ہیر ۔(وَرگہ پاٹھۍ) ہچہ کَلہٕ۔ یُس نہٕ سَہَل سَہَل کہنۍ فِکرِ ترِ۔

دُنٛج ۔ سوچاے ییٚتھ دوپہ طرفہٕ آب آسہٕ پکان۔

دُپہ دُج ۔ تلیٚم پیٹھ ۔ تھَر ہیٚور کُن کُرِتھ۔

دُپن دَلاز ۔ وُچھو "دُپھَن دَلاز"

دُپہَر ۔ ن۔ مۆل: دُپہَر > س: دۄ + پہر/ف: دوپہر]۔ سُہ وَق ییلہٕ دہس زِ پہر وُتھۍ مَتۍ آسن ۔ دُہچہِ باہ بجے اَڈ دوہ ۔ مدیان۔

دُپہ ۔[ن۔ مۆل: دُپ > س: دھوٗپہ] اَکھ جَنگلی بوٗٹۍ۔ اَمِچ گنٛڈرٕ چھےٚ خوشبوئے باپتھ زالنہٕ یِوان۔

دُپہ زۆر ۔ا۔ ڈابرِ شکلہٕ اَکھ کِتر یُس چیز یتھ پیٹھ دُپہ ہیتھ زالتھ تھَونہٕ یِوان چھُ ۔۲۔(وَرگہ پاٹھۍ)

آلژھی۔ دَم بوبُس ہیُو اِنسان۔

دُپیاز۔ مازَس تیار کرنہٕ یِنہٕ واجینٛۍ اَکھ ضِیافتھ۔ اَکہِ قِسمُک رٕنتھ ماز یَتھ سبٕٹھا گنڈٕ ترٛاونہٕ یِوان چھِ تہٕ رَس موٗژراونہٕ یِوان چھُ۔

دُپھ۔[ن۔موٗل: دُپ < آوازِ پیٚٹھ: مُ: تیلگو۔دُپ ] کانٛہہ چیز ٹھپ گرِتھ پیٚنٛچ آواز۔۲۔شُر پتھر پینٛس پیٹھ وَنان۔

دُپھ تہٕ دوٗگل گرٛٹھُن۔ ئیٚنٛد رگوبنہٕ کٕنۍ اور تہٕ یور لاینہٕ یُن۔

دُپھ گرِتھ۔ا۔صَدہہٕ سان (پیٚیون بیترِ )۔۲۔اَچانک یکدَم۔

دُپھ گرٛٹھُن۔ وُسۍ پیٚون۔تھَز رِ پیٹھ پیٚون۔دَب لگُن۔

دُپھَن دَلاز۔دُپَن دَلاز۔موٗل: دُپھَندَلاز۔ < دُفنَدَل + باز < ف۔دو+فند+باز]۔اورِچ گتھ یورتہٕ یورِچ گتھ اور وَنَن وول۔مُنافق۔یُس مُنافقت کرُن عادتھ آسہِ۔فاسق۔فَسادٕ پھٕٹُل۔موٗ کری پاُدٕ کرَن وول۔

دُپھَن دَلاز ی۔مُنافقت۔اورِچ گتھ یور تہٕ یورِچ گتھ اور وَننک عادت۔

دُپھُل وَق/دُپھٕلی وَق۔(کڈُن) (نیرُن)۔ ا۔مِسکینی ہنٛدی دوہ کڈٕنی۔نیرٕنی۔گشالہِ گشالہِ گزارٕ ( کرُن )۔۲۔زٕڈٕنکھ والنٛی۔

دُتَے۔م۔موٗل: دُتے < ف:دو+تہہ ]۔اِکہِ قِسمُک پھبرَن یَتھ اَنٛدرٕ کنۍ استر دِتھ چھُ آسان۔کُم پھٕمب ترٛاوِتھ پھٕمپ پھبرَن۔

دُتارٕ۔ن۔موٗل: دُتار < ف:دو+تار]۔ا۔سُہ گیٚرُیس اَبستھ پَنہٕ ژٕ ووننہٕ آسہِ آمت۔گیٚرُک اَکھ قِسم۔۲۔گانٹہٕ بزارِ ہنٛدی تم زٕ پَن یِم مِلہٕ نٲوِتھ ڈورِ گنڈنہٕ چھِ یِوان۔

دُجان۔[ < ف: دُ+ جان۔مُ۔ہ۔دُجیا]۔ا۔بُرژٕ۔بیٚنِہ زُو۔گوبہٕ کھورِ۔۲۔وٲلی وِنی۔

دُرچ۔م۔موٗل: دُرچ < س: دِوٗ کہ ]۔ا۔یِکہٕ وَٹہٕ زٕ۔ ا۔سوگب بیترِ یُس پرٕتھ پننہٕ زٕ ژھوآسَن زوان۔ ۳۔تاسُک سُہ پَتہٕ یِمیُک موٗل زٕ چھُ۔

دُچہِ نیاے۔نابرابر باگیہٕ ہُنٛد تناز۔

دُچہِ ہُنٛد۔ا۔گبہٕ ہُنٛد سُہ ژھوٗیُس دُکہٕ ویرِ زامُت آسہِ۔ م: دُچہِ ہٕنٛز۔۲۔دُکہٕ ویرِ زامُت شُر۔

دُخال۔[ < ف: دُ+ع: خال ]۔نَرِ دِ پھٕلیُگ سُہ طرَف یَتھ دُچ آسہِ گرِتھ۔۲۔نَروَس مَنٛز دُچ پیٚنگ باز۔

دُدَرٕ۔ن۔موٗل: دُدَر < ویدک: س: دُردھر]۔ا۔(دوہِ وُتھو) زور سان۔۲۔وَزنہٕ پُٹھ۔پُٹھ رپُٹھ۔

دُدَرِ والنٛی۔(وَرگہٕ)۔اَٲسۍ اَٲسۍ دِنی۔لورِ پرٕتھ والنٛی۔سَخ ماردِین۔

دُدَرِ والُن۔زورٕ لٲگِتھ اَکِے وِزِ سہٕ والُن۔کانٛہہ پُٹھ تہٕ مَضبوٗط چیز زورٕ لٲگِتھ پتھر ٹھاسُن۔

دُر۔[ن۔دُر<ع:دُر]۔موختہٕ۔

دُردانہٕ۔ا۔موختہٕ پھلۍ یا پھوٚل۔۲۔(وَرگہٕ)۔ سبٹھاہ مأرۍ موٚنڈ۔(ماشوٗقس وَنان)

دُرَس/دُروس۔[<س:دوٗ+رَسہ]۔یِکہٕ موٚدُر۔یتھ زِمِز آسن۔

دُرا۱۔[ن۔موٚل:دُر۔<ع:دِرعہ]۔ا۔وُٹھتھ دالہٕ کہہٕ ہُند گُچھ۔ییمہٕ سٟتۍ چوب چھِ دِوان۔گُر۔کوڑَر۔

۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ)چوب۔سَخ مار۔

دُرِ تہٕ گُرِ وَزِنۍ۔چوبَن پیٹھ چوب دِنۍ۔

دُرِ دِنۍ۔سَخ چوب دِنۍ۔

دُرِ وَزِنۍ۔(دُرِ سٟتۍ)گش کڈۍ کڈۍ چوب دِنۍ۔

دُرِ وأنِنۍ۔سَخ چوب دِنۍ۔

دُرا۲۔[ن۔موٚل:دُر<س:دُھر]۔ٹانگُک بیترِ سہٕ شیٖشہٕ تُر وڈَنڈ۔یتھ مَنز پیہہٕ بَند چھِ روزان۔

دُرُس،دُرُست۔موٚل:دُرس<ف:دُرست]ٹھیکھ۔ صحی۔بجا۔

دُرُستی۔سبزر۔سیٚزر۔ٹھیکھ گرُن۔شیرُن۔اَرِہ۔

دُروٗدٕ۔[ن۔موٚل:دُروٗد<ف:دروٗد]۔ا۔صلوات۔ ۲۔رَحمت۔۳۔دُعا۔

دُروٗدِ خوٚضوٗر۔سہٕ خاص دُروٗدٕ۔یتھ لَنٛدٕ رآنحضرتن گُن خطاب گرِتھ خودایس رَحمتھ منٛگنہٕ چھےٚ یِوان۔

دُروٗدِ نجاتھ۔سہٕ خاص دُروٗدٕ یُس بَلایو نشہٕ موکجار لَبنہٕ خأطرٕ نہٕ چھُ یِوان۔

دُروٗدٕ پرُن۔صلوات پرٕنۍ۔دُعا منٛگُن۔

دُروٗدِ سوزُن۔پأغمبرِ اِسلام تہٕ تِہٕنٛدِس عیالس سَلام تہٕ رَحمتھ سوزٕنۍ۔

دُرۍ بَتہٕ۔ن۔موٚل:دُرۍ<پراکرت۔دھٹہ+بھتہ< س:دھرتر+بھکتہ]۔کھانٛدرس پیٹھ مالِنۍ پکھہٕ رِشتہٕ دارَن ہُنٛد گَلہٕ میٛوٹھ بیترِ ہیٚتھ یُن تہٕ سال کھیٚون۔

دُرۍ بَتہٕ ژائُن۔مالِنۍ دَریٚک سالہٕ وِزِ پکو دَلو گَلہٕ میٛوٹھ بیترِ ہیٚتھ یُن۔

دُرۍ بَتہٕ کھارُن۔مالِنۍ پکھہٕ رِشتہٕ دارَن ہُنٛد گَلہٕ میٛوٹھ بیترِ ہیٚتھ یُن۔

دُرۍ بَتہٕ وألۍ۔تِم سأرۍ ییم دُرۍ بَتہٕ کھیٚنہٕ آمٕتۍ آسَن۔مالِنۍ پکھکۍ سالَر۔

دُرمُٹھ۔ن۔موٚل:دُرمُٹ<ہ:دُرمُٹ]۔دَن گرِتھ اَکھ بجُو یا شیٖشہٕ تُر وگوٚب چیز ییمہٕ سٟتھ روٗڈۍ بیترِ دَباوان چھِ۔

دُرمہٕ۔موٚٹ تہٕ گوٚب ییٚر ژادَر یوسہٕ وَنٛدس مَنز وَرٕنس چھےٚ لگان۔

دُزول۔زالیٚگ یادُگھمۍ لُک سہٕ حِصہٕ یتھ ییٚتھ زٕ شاخ نیرَن۔

دُزدِعرب۔موٚل:دُزدِعرب<ف۔دُزد+عرب]۔ (یِتھۍ پأٹھۍ پادشاہ گٕتھن ہُنٛد کِردار)۔سہٕ یُس کاروانَن لوٗٹھ گرِ۔

دُستَتھ۔ مؤل: دُستَتھ <س: دوٗ اسپَتہِ]۔ دوٚیہِ پیٚٹھۍ سَتتھ۔ سَتھ دۄہ تہٕ ژ۔

دُسرِ۔ دُگاڑ۔ دوٗ رژمین کھنہٕ باپتھ یا گنہِ کڈ نہٕ باپتھ اَکھ وٚسلہٕ۔

دُسہٕ۔ ن۔ مؤل دُس <ہ: دُھسا <س: دوٗ رشہ + گم]۔ پشمینچ یا رٔپچ فلیچ دُپٔچِل ژادَر۔

دُسوٗڑ۔ دُل مُل۔ نہٕ اپُر تہٕ نہٕ یور۔ اوم زوم۔ کُنہِ ڈٕنجہ پیٚٹھ نہٕ۔ دوٚن بِچن۔

دُشالہٕ۔ ن۔ مؤل: دُشال <ف: دو+شال/س: دوِ + شالا] دُپٔچِل فرد۔

دُشیتھ/ دوٚیہِ شیتھ۔ <س: دوِ+ اَشیتہِ۔ دوٗ شیتہِ]۔ دوٚیہِ پیٚٹھۍ شیتھ۔ اَٹھ دۄہ تہٕ ژ۔

دُشمَن۔ ن۔ مؤل: دُشمَن۔ <ف: دُشمَن]۔ ا۔ شتُھر۔ زأنتھ مأنتھ نوقصان واتناوَن وول۔ ۲۔ جنگس منٛز مُخأ لف فریق۔

دُشمَنہٕ ہِنٛدِ لگہِ نہٕ گٔنڈۍ ژٔنجہِ۔ دوستہٕ ہِنٛد لگہِ پوشہِ ژٔنجہِ۔ تہِ دٕپتھ گو ووپرٕ بے بدرد تہٕ وٕنہٕ تمیٚک چھنہٕ پرواے مگر ہر گاہ پنٕنہٕ نوم منٛز کانٛہہ بڈ پہن تہٕ گتھ کرٕتمہٕ ستۍ چھُ دِلس لگان تہٕ کیاز تَس نِش چھنہٕ تیٚنتھ توقواہ آسان۔

دُشمنُت۔ شیتر وٗت۔ دُشمنی۔ عداوتھ۔

دُشمنُت کرُن۔ مُخالفت کرٕنۍ۔ زٕکھ واتناوُن۔

دُشمن دأرۍ۔ وٕچھو ''دُشمنی''۔

دُشمَن نے تہٕ شِکَن کیا۔ تہٕ دٕپتھ گو ژژرٕژنہٕ روزُن چھےٚ دُشمَن دأرۍ ہنٛز علامتھ۔

دُشمنی۔ شتر وٗت۔

دُشمنی کرٕنۍ۔ وٕچھو ''دُشمنُت کرُن''۔

دُعا۔ ن۔ مؤل: دُعا <ع: دُعا۔ دعو]۔ ا۔ أہی۔ رٕژر کانٛچھن۔ دوٚیہِ خأر۔ ۲۔ (خودایس) رٕژر منٛگُن۔ ۳۔ سُہ آیہٕ سوٗرٕ یا مناجات یتھ اَنٛدٕ ر خودایس کیٚنٛہہ منٛگنہٕ ییہٕ۔ م: دُعاے گنجُ العرش۔

دُعایہِ خأر۔ أہی۔ رٕژر کانٛچھن۔ کأنٛسہِ ہنٛز جأنۍ یژھنۍ۔ کأنٛسہِ ہنٛدِ باپتھ رُت منٛگُن۔ کأنٛسہِ ہنٛزِ بجأیی باپتھ منٛگُن۔ (خودایس)۔

دُعایہِ بد۔ ووہو۔ کأنٛسہِ ناکارٕ یژھن (کأنٛسہِ) بُدۍ کانٛچھنۍ۔

دُکان۔ ن۔ مؤل: دُکان <ف: دُکان]۔ پھالوٗ دار کُمرٕ یا جاے یتھ منٛز چیز کیٚنٛنہٕ یا تیار کرنہٕ ین۔ وان۔ کارخانہٕ۔ ژاٹہٕ ہال۔

دکاندار۔ ن۔ مؤل: دکاندار <ف۔ دکان+دار] ووٚنۍ۔ وانہٕ وول۔

دُکاندأرۍ۔ وأنِس بِہُن۔ دُکان چلاوُن (ہزلہٕ) بادٕرۍ گی۔ وانہٕ وألۍ گی۔

دُکاَر/ دُکاَرۍ۔ م۔ مؤل: دُکار <س: دوٗ + کرتری]۔ کاژ۔ مقراض۔ کپٕر بیتر کپٹاونہٕ باپتھ اَکھ ہتھیار یُس اوٚنگجن تہٕ ٹھُس منٛز کاوٕد آسنہٕ کِنۍ بنٛد

چھُ روزان تہٕ ژٔٹھ کٔپٹھ گَرنس چھُ لگان۔

دُکاۍری واتٕنۍ۔ ۱۔ میقراضہٕ ستۍ کیپُن یا ژٔٹُن۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) دون زِ وَتہٕ گرنہٕ۔ پھاس ترٲوُن۔ مُوکری ٹٔلنۍ۔ کانہہ نہٕ کانٛسہٕ ہُنٛد تھوٚن۔

دُکہٕ۔ ن۔ مۆل: دُک <س: دوٕ کہ]۔ ۱۔ سٕزٕ لِگس منٛز دوٚیم خانہٕ۔ دُموٚن تہٕ چھِ اَتھ وَنان۔ ۲۔ ژٕمپٮ۪س اَنٛدٕ رٕٹھکتھ تمہٕ زِ کچہٕ یمن پیٚٹھ پینٛۍ چھِ پیران۔ ۳۔ ٹٔکھ۔ ژٕڈ (گیٚرس بیترِ)۔ دوتہٕ۔ ۴۔ دُچ۔

دُکہٕ پینٛہٕ۔ ٹٔکھ لگنۍ۔ گنہٕ پکٲوس ژٕڈ گژھنۍ۔

دُکہٕ گژھنہٕ۔ ٹٔکھ لگنۍ۔ پرِیٚن گژھُن (گیٚرس بیترِ)۔

دُکہٕ لگنہٕ۔ وُچھو "دُکہٕ پینٛہٕ۔"

دُکہٕ نیاے۔ ۱۔ سہٕ جگہٕ یُس کانہہ چیز دون نابرابر حِصن منٛز بأگرنس پیٚٹھ ووتھ۔ ۲۔ طرفدأری پٔکھ گرُن۔ دوٚیو منٛز أکِس طرفس گرُن۔ ۳۔ دُکہٕ ویرِ زامتن ہنٛز رٕش۔

دُکر۔ م۔ مۆل: دُکر <پٕراکرت: دُایکہ دٕآ]۔ دُکہٕ ویر۔ یکہٕ وَتہٕ زامتۍ زٕ شرۍ۔

دُکہٕ ویر۔ دون ہُنٛد یکوٚتہٕ أکے ماجہ زیوٚن۔

دُکہٕ ویرٕ ہنٛدی۔ دُکہٕ ہنٛدی۔ تم زٕ شری یم أکی پیٚنہٕ زیوٚن۔ أکی پیٚنہٕ زامتۍ۔

دُکرِن۔ مۆل: دُکر <س: دوٕ + ککہ]۔ ۱۔ أکھ ساز۔ گرِتھ بچہٕ منٛز بنٛد گرِتھ گرِ یم دوٚیو اَتھو وایِنہٕ چھِ یوان۔ ۲۔ أکہٕ قِسمُک طبلہٕ۔

دُکرُن/ دِژٕ گرُن۔ ن۔ مۆل: دُکرُن <س: ؟ ہُتہٕ + گرنہٕ]۔ نارس وٕتش دِنک سیٚخ یا ٹرُن۔ لوٚر ییٚمہٕ ستۍ ٹٔھس زیرٕ زیرٕ چھِ دِوان۔

دُکھ۔ [<س: دوٕ کہ]۔ ۱۔ یکہٕ وَتہٕ زِ۔ ۲۔ ییٚتِس او ننٛگجن ہنٛز تھچھ پیہ۔ رٕژھا پیوٚٹنا۔

دُکہٕ دُکہٕ۔ رٕژھہِ رٕژھہِ۔ پیٚٹھہِ پیٚٹھہِ۔

دُکہٕ ہنٛدی۔ دُکہٕ دیرٕ ہنٛدی۔

دُگاڑ۔ ژٕمیٖن بیترِ کھنٕنہٕ ٹٔک أکھ ہتھۍ یار۔ أکہٕ قِسمُک ٹونگر ہیٛو یتھ زِ ٹٔنتۍ چھِ آسان۔ أمیُک أکھ تیٛوٚنت چھُ تونٛگل تہٕ بیٚیا کھاپأٹرٕ آسان۔

دُگالہٕ۔ وُچھو "دُگاڑ۔"

دُگوش۔ وُچھنس منٛز بژم گژھُن۔ أکِس بیٚیا کھیٚن بوزنہٕ۔

دُگوش گژھُن۔ تیز گاشہٕ کنٛہ ٹکر لگنہٕ ستۍ صاف نہٕ بوزنہٕ یِن۔ نظرِ ہُنٛد بژم گژھُن۔ اوٚرک یور بوزنہٕ یِن۔ أچھن دُژیوٚت گژھُن۔

دُلتہٕ۔ ن۔ مۆل: دُلت <ف: دُ(دو) + لت]۔ ۱۔ (گُرِس بیترِ سُنٛد) پٔتۍ موٚدوشوے لتو ستۍ (دیٚنٛتمت) ٹُھ۔ پچھِیر پٔھ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) کارِ بارس منٛز ٹاس لگٕن یا سِن۔ وُلتہٕ پأٹھۍ پتھ گژھُن۔ پیوٚن۔

دُلتہٕ اُنٛن۔ صدمہٕ واتناوُن۔ (وَرگہٕ) کارِ بارس بیترِ سیٚخ ٹھوٚنٹھ اُنٛنۍ۔

دُلتہٕ تُلٕن۔ پٔھ دِنہٕ باپتھ (گُرِس بیترِ سٕنٛز) پٔتۍ مہٕ

لَتہٕ تُلنہٕ۔

دُلَتہٕ دیِن ۔(وَرگہٕ) تیُتھ سَخ ٹاس ترٛاوُن یُتھ کانٛہہ گُنہٕ کامہِ برٛونٛہہ پکہٕ نَس بَنٛد گژھہ۔

دُلَتہٕ یُن ۔صَدمہٕ واتُن ۔(وَرگہٕ) کارٕ بارَس بیترِ مَنٛز سَخ ٹاس پیوٚن۔ تیُتھ پُھٹہ یُن یُتھ سمبلُن مُشکِل گژھہ۔

دُلہٕ ۔[۔<س:دوٗ+لَہ]۔زٕ۔جوٗرُ۔

دُلدُل۔ [ن۔موٗل:دُلدُل <ع:دُلدُل ]۔حَضرتِ علیؑ سُنٛد سوارِ کاتُر۔

دُل مُل ۔[<س:دُل+پوٚت صداہ۔مُل ]۔(وَرگہٕ) مُشکَس سَپدُنَے ۔طَے گژھنَے ۔یَتھ مُتعلِق نہٕ کیٛنٛہہ وٕنٛی تھٕے ہیکَو ۔نہٕ اورتہٕ نہٕ یور۔یَتھ مُتلِق شَکھ آسہِ ۔اَلاَنٛدِس پیٛٹھ۔

دُل مُل تھَوُن ۔دُساَڈِس پیٛٹھ ترٛاوُن ۔اَلونٛد تھَوُن۔ اوم زوم تھَوُن ۔صاف صاف نہٕ وَنُن۔

دُم ۔ن ۔موٗل:دُم <س:دَھوٗنہِ/دھوٗمَہ ]۔ا۔سَخ بوٗج۔ سَخ پرُسان۔سَخ پرٛژھ گاٗر۔۲۔شورٕ۔شَر۔

دُم تُلُن ۔شور تُلُن ۔گُنہِ کَتھِ پیٛٹھ سَخ باز خاص لاگُن ۔سَخ پرٛژھ گاٗر لاگنۍ ۔حِساب ہیوٚن۔

دُم وۄتھُن ۔ا۔سَخ بوٗج وۄتھُن ۔سَخ پرٛژھ گاٗر لگنۍ ۔سَخ باز خاص لگُن ۔۲۔شورٕ شَر وۄتھُن۔

دُمَٹھ ۔ا۔گُنٛبد ۔۲۔بوٚڈ پَل ۔۳۔بودھ وِہارُک پیٛٹھِم گول مینار۔

دُمَٹَس رِینٛزی گژھنۍ ۔تہٕ دٕپتھ گوٕ کِہہ کِہہ نہٕ گژھُن۔ کانٛہہ اَثر نہٕ گژھُن ۔کَتھ نہٕ وِینٛژ یا وِینٛژنۍ۔

دُمبہٕ ۔ن۔موٗل:دُم۔دُمب <ف:دُم/س:دُمبکہَ ]۔ ا۔گُری ہِنٛدِ لَٹکی وال۔۲۔اَکہِ قسمُک گَٹھ یَس بُڈ ڈُلام لُٹ چھےٚ آسان۔

دُمبِج /دُمبِج /دُمبج /۔م۔موٗل:دُمبج <ف : دُم+ ؟چی ] آرِ چالہِ رَنٛدُکھ یُس گُرِس بیترِ لَٹہِ تُلی پھِر وِتھ زٕہن یا پکنہٕ بَنٛد چھُ یِوان گرنہٕ۔

دُمبر/ دوٗمبر ۔م۔موٗل:دوٗمبر۔دُمبَر <پرٛاکرِت:دَمَہ ڈِاٗ]۔اِکھ پرٛوٚن سِکہٕ۔اَڈِپاٗنسَک اوٗڈ۔روپیہٕ ہُنٛد 1/256 ہیم حِصہٕ۔

دُمبی گَٹھ ۔وِچھِو ''دُمبہٕ'' مانےٚ ۲

دُم دَوال ۔ن ۔موٗل:دُم دَوال <س: دَھما+ ؟ مُ۔ہ: دھوٗم]۔ا۔(کھانٛدرٕ بیترٕ چ)۔وۄسہٕ دردس۔

دُم دام ۔ن ۔موٗل:دُم دام]۔(گُنہِ شادِ بیترِ وِزِ)۔سَخ وۄسہٕ دژوس۔

دُنَمتھ ۔<س:دوٗ نَوَتہِ]۔دوٕیہ پیٛٹھی نَمتھ ۔نَوٗدٕہ تہٕ زٕ۔

دُنال ۔اَکہِ قسمٕچ پوٗٹھ رَزیوسہٕ گُری دُمبہٕ یا ٹسٕتھر وُٹھتھ بَناونہٕ یِوان چھےٚ۔

دُنٛلی ۔م ۔موٗل:دُنٛلی <ہ:دونالی<س:دوٗ+نالی]۔اکہِ قسمُک چھرٕ بوٚنٛدوٗق۔یَتھ زٕ نالہِ چھےٚ آسان۔

دُنٟیا ۔ن ۔موٗل:دُنٟیا <ع:دُنیا]ا۔ساٗرٕے زٕمین۔ زٕ گَتھ ۔۲۔سَمسار۔عالَم۔زُوٕ زاٗژ ۔مِ:دُنٟیا

چھُ اَتھ پٹھ متیومُت۔۳۔لۆگن ہُنْد طور طرٕز۔

مِ:وُنہِ ماچھُن دُنی یاوٕ چھمُت۔

دُنی یااَژُن۔طَمَع بڑُن۔

دُنی یادار۔اَسُن بسن وول۔دیٚارٕ وول۔۲۔رشتہٕ دارن ہُنْد خیال تھاوَن وول۔خرٕچ دار۔

۳۔بڑٕ قبیلُک زیُٹھ۔

دُنی یادأری۔ا۔دولَت مَنْدی۔۲۔بڑٕ قبیلہٕ دأری۔

۳۔رِشتہٕ دأری یا بَنْدُت قائیم تھونہٕ باپتھ پانہٕ وأنٕ ہیوٚت دیُت۔

دُنی یادیِن۔(وَرگہٕ) دَے تُوٹھُن۔مِ:اَمِس چھُ خودأ ےدُنی یادیُتُمت۔

دُنی یاوٕ چھُن۔تجرُبہٕ حاصِل کرُن۔

دُنی یِہِس یِنُن۔یادٕ گژھُن۔زَنم ہیوٚن۔

دُنبالہٕ۔<ف:دُمبال]۔(کُنہِ مَطلَب باپتھ) پیٚتے لگِتھ۔اَگادِ لُٹ۔مرثی مصرک پُتم حصہٕ۔

دُوَنژاہ۔س:دوٗ اپنچاشت]۔دوٕیہِ پیٹھی پنٛژاہ۔پانٛژھ دٕہ تہٕ زٕ۔

دُوالہٕ۔موٚٹ پھاڈیا کرِیتھ زٕ جان چھلہٕ نیرَن۔

دُہأٹھ۔ن۔مۆل:دُہأٹھ<س:دوٗ اشِشٹہِ]۔شیٚے دٕہ تہٕ زٕ۔شیٚٹھ تہٕ زٕ۔

دُہُل۔مۆل:<س:دِوَس+دیلہ] دُہک وق۔گاشُل۔

دُہلی ٹھگ۔ا۔یُس دُہلی گاشس مَنٛز دوکھہٕ دِتھ کینٛہہ ہیتھ ژَلہِ۔تھَپُل۔مَنْدِنی ٹھگ۔۲۔یُس بڑٕ ونٛٹھ کُنہِ اَچھَن گچھ ژٕھنِتھ فریب دِیہِ۔

دُہلی خاب۔ا۔دوٕہَس مَنٛز سوٚپُن۔۲۔تِہِ سونٛچُن تیٚمہِ نہٕ کانٛہہ وومید آسہِ۔ہَوأیی قلہٕ بناوٕنی۔تہِ یِہ نہٕ کُنٛہ تھے ہیٚکہِ۔یِہ سیٚٹھا مُشکِل آسہِ۔مُ:خیألی پولاد۔

دُہلی کھاو۔یُس نہٕ روزٕ دَرِ۔سُہ (مُسلمان) یُس رَمضانِ مُبارکس مَنٛز دوہلہِ کھیٚن چَن کرِ۔

دُہلی گاشہِ۔دوہ لوسنہٕ برٛوٛنہہ۔گاشس مَنٛزٕ ے۔اَنہِ گٹہٕ گژھنہٕ برٛونٛٹھے۔

دُہلی لگن۔سُہ بَٹہٕ کھانْد ریٚتھ دوہلی ساتھ آسہِ۔مُ:روت لگن۔

دُلی۔م۔مۆل:دُلی۔دِ ے <س:دوٗتیتا/دوِشتا]۔زِبیٚون بیٚون گنٛزٕرٕنی۔ووپَرزانُن۔

دوٗتی۔م:مۆل:دوت<ہ:دھوتی]۔ا۔ریشمُک یا کھدرِ بیترِ ہُنْد سُوٕنے زَنانہٕ ووٗلُت۔ساڑ۲۔سُہ کپُر یُس مَرٕ دیأ جامہٕ بَدَل زَنکن لاگان چھِ۔

دوٗج۔م۔مۆل:دوج]۔مَشکہِ پُٹ۔لوٚت کرِتھ رَنْدٕ دار پُٹ۔یَتھ پیٹھ ژاٹہٕ شُری سیٚپہِ بیترِ ستی لیکھان چھِ۔

دوجہِ پُٹ۔مَشکہِ پُٹ۔

دوجہِ مأنٛتھر۔گوڈِنکہ پھِر دوجہِ شاردایٚ ٹھی لیکھنُک وَژُن۔اوم سوشہِ سِد دھم۔یِہ چھُ ہاوان زِ شاردا اَچھر چھِ بڑا اہمی لیپی ہُنْدِ سِد دَھم شاخہٕ مَنٛزٕ۔

دوٗرٕ۔<ف:دوٗر:س:دوٗرَ]۔سیٹھا فأصلَس پیٹھ۔

یۆت واتنس وَق لگہِ۔۲۔ژھبنہٕ گومُت۔

دۄرِ دۄرِ۔۱۔(ل۔م) سبٹھا زیٚٹھ فأصلہٕ پیٹھ۔ نکھہِ نکھہِ نہٕ۔۲۔لۆب لۆب۔اَنٛد کُن۔

دۄر دۄرِ چھُ مرٕژ میٹھان۔نکھہِ نکھہِ چھُ سنٛلبد ٹھٹھان۔تہٕ دُپتھ گو حدس اَنٛد رملہٕ ژارتھاونہٕ ستی چھُ لول بڈان تہٕ پزنہٕ پیٹھی پنہٕ گوھنہٕ ستی چھےٚ کھُر گژھان۔

دۄرِبن گژھن۔سبٹھا۔دۄر جاے یۆت نہٕ کانٛہہ سہل پأٹھی وأتتھ پیٚیہِ۔

دۄر دَراز۔۱۔وار یاہ دۄر۔سبٹھا دۄر۔۲۔رَگہِ ہُنٛد نہٕ۔

دۄرِ۲۔م۔مۄل: دور < س: دُر۔دُر]۔کوچہ۔

دۄرِ۳۔ن۔مۄل: دۄر < ع: دُر]۔جمکہٕ۔کنٛگ اَکھ زیوٗر۔

دۄرِگن۔۱۔(دۄرِ ہر منٛز) اَکھ۔۲۔(وَرگہِ پأٹھی) خاص پنُن۔یُس سبٹھا نکھہِ آسہِ۔یُس پیٹھ بروسہٕ آسہِ۔

دۄرِ ہۆر۔دورِ جورِ۔کنن ہُنٛد وَس۔

دۄرُن۔< س: دۄر/ف: دور۔]۔۱۔نظرن تل نہٕ روزُن (کُنہہ یا کانٛسہٕ نشہِ) دۄر گژھُن۔۲۔(وَرگہِ پأٹھی) دۄر بر پیٚون۔ژھین لگُن۔۳۔شرٛ پتھ نہٕ روزٕنی۔ ماے موٚحبتھ نہٕ روزُن۔

دۄر بر۔ن۔مۄل: دۄربر < س: دۄر/ف: دور]۔۱۔زیٚوٹھ فأصلہٕ۔۲۔نزدیکُک رِشتہٕ نہٕ آسُن۔ملہٕ سرٕ یُہس کمی (گژھنی) ۳۔جُدأیی۔

دۄر بر پاوُن۔پانہٕ وأنی مَن ہُنٛد راوناوُن۔پھاس ترٛاوُن۔(اَکھأ کس نشہِ) بیزار گژھُن۔

دۄر بر پیٚون۔اَکھ أکس نشہِ دۄرُن۔اور یور شرٛ پتھ نہٕ روزٕنی۔دِ ے گژھنی۔پھاس پیٚون۔

دۄر بر لگُن۔۱۔اَکھ أکس نشہِ دۄر گژھُن۔۲۔دۄر دۄر بسنہٕ ستی رِشتہٕ دارن پانہٕ وأنی تولُق کم گژھُن۔۳۔دون ژھین گژھُن یا ماے ہُنٛد پرٕنی۔

دۄر اَندیش۔< ف: دوراندیش]۔یہ دُنہٕ سپدَنے آسہِ تمیٚک خیال تھوَن وول۔بزٕ وُتھےٚ ژینن وول۔ پتھ بزٕ وُنہہ وُچھن وول۔

دۄر اَنٛدیشی۔بزٕ وُنہہ کال سوٗرُن۔پنہٕ وول سےٚ نظرِ تل تھاوُن۔

دۄربین۔م۔مۄل: دۄربین < ف: دوربین]۔سہ شیشہٕ یمہِ منٛزی دۄرِکی چیز ٹاکارٕ دریٹھ یوان چھِ۔

دۄز۱۔< ف: دوز]۔سُوَن وول۔یہ چھُ اَکھ پۆت لۆگ۔م: چکُن دۄز۔

دۄز۲۔مۄل: دۄز < ف: دُزد]۔یُس چالا کی کرٕتھ پھرٕ۔ تارَن گۆر۔

دۄزی گولہٕ۔یُس مچھِ گتھ کرٕتھ تارٕ۔تارَن گۆر۔

دۄستی۔م۔مۄل: دوستی < ف: دوستی]۔یارٕ ز میژتھ۔ ماے موٚحبتھ۔رُت وَرتاو۔

دۄستی کھوتہٕ چھےٚ رأستی جان۔تہٕ دُپتھ گو لحاظ

رٕچھنہٕ کھوتہٕ چھُ پۆز پۆز زوٗنُن جان۔

دۄستی لاگٕنۍ ۔ا۔ یارانہٕ لاگُن ۔مَطلب کَڈنہٕ باپتھ یار زلاگٕنۍ۔

دۄش ا۔ن۔ مۄل: دۄش < س: دوشہ ]۔ اُتُر۔ گوناہ۔ پاپھ۔ غلطی۔ راہ۔ اَلزام۔

دۄشہِ رۄس ۔بے قۆصوٗر۔

دۄشہِ لَد ۔قۆصوٗروار۔

دۄشہِ ہۆت ۔وُچھو ''دۄشہِ لَد''

دۄش دِیُن ۔راہ لَدُن ۔کانٛہہ غلطی مَتہِ کھارٕنۍ۔

دۄش کاسُن ۔نوقص ژٕلراوُن ۔بُندِش دۄر کرٕنۍ۔

رٔتہِ نشہِ موکلاوُن ۔مِ: لگنہٕ دۄش کاسُن۔

دۄش کھارُن ۔وُچھو ''دۄش دِیُن''

دۄش لَدُن ۔راہ کھارُن ۔اِلزام دِیُن۔

دۄش ۲۔ آبہٕ تہٕ دَوا پیاتوٚ سٟتۍ صَفٲیی کرٕنۍ۔ (خاص کٔرِتھ شِکمَس)۔

دۄن ا۔ن۔ مۄل: دۄن < س: دھوٗ ]۔ پھَمب وۄنُن وول (کارٕگر)۔

دۄنا آیوو دونان دونان ۔تژٕ گس تژٕ ے مَن چھونان پھس ۔یہٕ چھُ ونان تَمہِ وَقتہٕ ییلہِ کانٛسہِ ہِندِ ڈٕکہ فٲیِد بَدلہٕ نوقصانے واتہٕ۔

دۄن ۲۔ < س: پادۄنہ ]۔ کُنہِ چیزَس کرِہتھو برابر ژورَو ھِصو منٛز تژٕ ے ھِصہٕ۔

دۄن ساد ۔ل۔م۔ کانٛہہ چیز پاوِ پیٛٹھی یا پاوِ کم۔

(وَرگہٕ پٲٹھی) اوگ بوگ۔ گَتھِ ہُند باش۔

زاُوِ جارن سٟنہٕ نٕک گاٹہٕ۔

دۄن ساد آسُن ۔بوزِ شوژ آسٕنۍ ۔اوگ بوگ آسُن۔

خرچہٕ بَرچِک اَند اِز آسُن ۔پرٛتھ کانٛہہ پہلوٗ نظرِ تَل آسُن۔

دۄن ساد بوزُن۔ بوزِ شوژ کرٕنۍ ۔نفع نوقصان وُچھُن۔

دۄن سادنہٕ بوزُن۔ (وَرگہٕ) پَتھ بژٕ وٕنٹھ نہٕ وُچھُن ۔دۄراندیشی نہٕ بوزٕنۍ۔

دۄنۍ ا۔م۔ مۄل: دونۍ < س: دَھنُہ ]۔ دۄنۍ سُند سامانہٕ۔

دۄنۍ دَکھ/دِن دَکھ۔ ٹٔنٛتی کۆرد ستہٕ سٟتۍ واتھنٛج آواز۔

دۄنۍ دِنۍ ۔(وَرگہٕ) چھکرِتھ ژھنُن ۔کانٛہہ چیز نہٕ پَننہٕ جایہٕ تھوٗن ۔پکو بیترِ تہہ رۄس تژٕ اوِنۍ۔

۲۔ دۄ ژٕھ دِنۍ ۔ژٔر ژٔنہٕ کٕنۍ ژھانٛڈ دِنۍ۔

دۄنۍ ۲۔ م: مۄل: دونۍ < س: دھوپنہ ]۔ کنگ یُس ساد بیترِ پانٛس بژٕ وٕنٹھ کُنہِ دِزوٗن چھِ تھوان۔

دۄنۍ زالٕنۍ ۔(وَرگہٕ) وولِہ مارس پیٹھ روزُن۔

دۄ ژٕھ ا۔م۔ مۄل: دوژٕھ < س: دھوٗنہ ]۔ رٕ ژھہ رٕ ژھہ ژھانٛڈ ۔سٲر۔

دۄ ژٕھر ۔ژٲر (ییرَس بیترِ) ۔نٕم دِیُن۔

دۄ ژٕھراوُن ۔دۄنۍ دِنۍ ۔نٕم دِتھ عَلاحِدٕ عَلاحِدٕ کَڈُن (ییرَس بیترِ)۔ چیزن بے ترتیب پٲٹھی پھیر دِیُن۔

دۄ ژٕھرُن ۔ہیٛون ہیٛون کرِتھ تژٕ اوُن۔

دۄنٛژھِ کڈٕنۍ ۔ا۔ ٹژھ کڈٕنۍ ۔ چھلہٕ گرنۍ ۔
۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) کتاب ہیتر حرفہٕ حرفہٕ پرٕی پرٕی تراونۍ ۔

دۄنٛژھِ دِنۍ ۔ا۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز تتھٕ پاٹھۍ پھرٕن تہٕ پھرٕن یُتھ نہٕ پَنٕنہ تَہہ کیٚنٛہہ روزِ۔ ۲۔ رَژِ رَژِ ژھاٛنٛڈ دِنۍ ۔

دۄنٛژھ۲۔ مۄل: دونٛژھ > س: دَنشہ ]۔ وٕترِ چالہٕ اَکھ وُڈوٗن کیٚوم یُس ٹوپہ چھُ دِوان ۔

دۄنٛژھِ ہیٚؤ اَگادِ گرٕژھٕن ۔ (وَرگہٕ) تتھٕ پاٹھۍ پتہٕ لَگٕن تہٕ ستۍ روزُن یتھ انسان تنگ ییہ۔ پتہٕ لَگِتھ بتھۍ کنٕ اُنٛن ۔ م: مترِ مچھۍ ہیٚؤ اَگادِ گرٕژھٕن ۔

دۄنٛژھۍ گولہٕ ۔ا۔ (وَرگہٕ) اُلۍ اُلۍ کھوٚتمت ۔
۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) ژٕر۔ راد۔

دۄب ا۔ن۔ مۄل: دوب > س: دھاو]۔ یُس پلَو چھلنُک کار کران آسہٕ ۔

دۄبۍ باے ۔ا۔ دۄبۍ سٕنٛز کولۍ ۔ ۲۔ اَکھ چھِٹہٕ ہوروار۔

دۄبۍ بابہٕ دۄب ۔ ہانٛکلہٕ ہار۔ کوربن ہُنٛد اَکھ گنٛڈُن ۔ یتھ منٛز کورِ آرٕ چھےٚ گران تہٕ وارٕ وارٕ چھےٚ پرٛتھ کانٛسہٕ ہٕنٛدِ گژھتھ تلۍ نیران ۔

دۄبۍ تھان ۔ سو گیٚر ژادٕر ہیتر یتھ منٛز دۄب پلَو بوچھس تُلنہٕ خاطرٕ گنٛڈان چھُ ۔

دۄبۍ داتھُر ۔ا۔ دۄبۍ سٕنٛد سہٕ سامانہٕ یُس تَس پلَو چھلنَس بکار چھُ یِوان ۔ ۲۔ سو جاے یتھ دۄب پلَو ہو کھناوِتھ چھُ تراوان ۔

دۄبۍ سٕنٛد چھلُن نَنہِ عنبر دوہ ۔ تہٕ دُپتھ گوٚ وَقتہٕ وِزِ چھُ پانٕے نَنان زِ کُس کیا چھُ گران ۔ کمۍ سٕنٛد عاقبتھ کیا چھُ ۔

دۄبۍ کنٛز ۔ سو کنٛز یتھ پیٹھ دوب (چھلنہٕ وِزِ) پلَو چھُ چھاوان ۔

دۄبۍ وان ۔ دۄبۍ سٕنٛد کارخانہٕ یا کام کرنچ جاے۔ م: دۄبۍ داتھُر ۔

دۄبۍ وُسلہٕ ۔ تم پلَو وَلو یم دۄبۍ چھلنہٕ باپتھ سوٗمبرأوِتھ آسن ۔

دۄبۍ ہار ا۔ دۄبۍ سٕنٛز زمین ۔ سو جاے یتھ دۄب پلَو ہیتر ہوکھناوان چھُ ۔

دۄبۍ ہار۲۔ سو ہار یَمہِ ستۍ دۄب ترٕنگٕن ہیتر موہر گران چھُ ۔

دوب دین ۔ دوبس اَتھِ پلَو چھلہٕ ناوٕنۍ ۔ م: دۄب دیُو دستارس ۔

دوبہٕ دژاو ۔ دۄبۍ سٕنٛد اَتھ چھلنہٕ آمُت (پلَو) ۔

دوبہٕ کڈُن ۔ پلَو ہیتر دوبس اَتھِ چھلناوُن ۔

دۄب ا۔ن۔ مۄل: دَب > س: دھمبر]۔ ژٕنٛد رِیون پہَن تام بُرتھ ۔ پوٗرٕ پہٕ بُرتھ ۔

دۄبٕنۍ ۔ ژٕبنۍ ۔ م ۔ مۄل: دۄبٕنۍ > س: دھاو+اِن+ای]۔ پلَو چھلنُک لوٗٹھ ۔

دۄبٕنۍ دِنۍ ۔ا۔ دۄبۍ نہِ ستۍ پلَوس ٹاس ٹاس دِتھ مَل کڈُن ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ) ستاوٕتلُن ۔ پرٛتھ

طرفہ پنٹرۍ کڈُن۔

دۆ ہۍ لگنۍ۔ ا۔ پکون دۆبِہ ستۍ مَل نیرُن۔ ۲۔ فکرو ستۍ غوطن گژھُن۔ دوکھن پھیُر لگُن۔ غمن تہٕ فکرن ہنزٕ پژلنہٕ کنھ سوٗرۍ سوٗرۍ تلواس وۄتھُن۔

دۆبہٕ لوٗٹھ۔ ا۔ ل۔ م: سُہ موٗٹ لَرٕ بیترٕ ییمہٕ ستۍ پکون ٹاس ٹاس دِتھ مَل چھِ کڈان۔ ۲۔ (وَرگہٕ) ژھوٗٹ تہٕ موٗٹ۔

دۆبُس۔ ن۔ مۆل: دۆبس < ف: دبوس]۔ سُہ نیلہٕ یا لوٗٹھ یُس تالہٕ اَنٛدٕ ویوٗٹھ چھُ آسان۔

دۆبسہٕ وانُن۔ پوٗتُس پَتھ ٹاس یا ٹوٗسۍ لاینۍ۔ موٗٹہٕ لٹھوٗ ستۍ مارُن۔

دۆبرُن۔ ا۔ میوٗتل وانُن۔ ڈراوُن۔ دَفن گرُن۔ ۲۔ زمینہٕ تل ژوٗرِتھوُن۔ دَباوُن۔ ۳۔ (وَرگہٕ) گھُٹتھ تھاوُن۔ تل کُن دِیُن۔

دۆبراوُن۔ ا۔ ڈراوُن۔ دوبرُن۔ دوبَس تژاوُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) ژوٗرِ تھاوُن۔

دۆبرِتھ تھاوُن/ ژھنُن۔ میوٗتل تھاوُن۔ دَفن گرُن۔ ڈرِتھ تھاوُن۔ سَن بیترٕ دۆبراونۍ یا بیٚیہٕ کنہٕ طریقہٕ گھٹتھ تھاونۍ۔

دۆپ۔ ن۔ مۆل: دَپ]۔ ا۔ کأنسہٕ ہُند کینہٕ وۄنمت۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) اِرشاد۔ حُکم۔ ۳۔ کأنسہٕ ہُند اِشار یا اَنٛدرۍ شیچھ۔ م: اُمس آسہٕ مأتۍ نیک دۆپ۔ ۴۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ)۔ زیٚو دژا مو گتھ۔

م: مَتیٚن ہُند دۆپ چھُے بلا ییٚن تھوٗپ۔

دۆپ آسُن۔ اِرشاد آسُن۔ شیچھ آسنۍ۔ سِکمتھ آسنۍ۔

دۆج۔ ن۔ مۆل: دَج]۔ ا۔ چور۔ ۲۔ اُکھتھ مُڈٕ یا چور لاگُن وول۔ گُلس ڈۆل لاگُن وول۔

دۆج بازنٛد۔ اُکھتھ چور لاگُن وول۔ چور لاگُن وول۔ گُلس ڈۆل لاگُن وول۔

دۆچھ۔ ن۔ مۆل: دِچھ < س: دَھکشُ]۔ ا۔ کرٕہُن۔ کالہٕ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) بد باطِن۔

دۆدسہٕ۔ < س: دَگدھ+ تژشا]۔ سَخ تژیش۔ پپاس۔ وِہُن۔ توس۔

دۆدسہٕ پیوٚن۔ ا۔ یہٕ چھُ وۄہَو تہٕ۔ وۄچھو "دۆدسہٕ وۄتھُن"

دودسہٕ گنڈُن۔ سَخ تژیش گرنۍ۔ پپاس گرُن۔ تژیش چھنے چینے بیٚیہٕ تژیش لگنۍ۔ تژیش نہٕ ہمنۍ۔

دۆدسہٕ وۄتھُن۔ سَخ تژیش لگنۍ۔ تژیشہٕ باپتھ زیٚو ہوکھنۍ۔ تژیشہٕ وِہُن وۄتھُن۔

دۆر ا۔ ن۔ مۆل: دَر < س: دِرڈھ]۔ ا۔ مضبوٗط۔ پایدار۔ پوٗشہٕ ڈن۔ ۲۔ یُس نہٕ ڈیلہٕ۔ یُس نہٕ کنھ ڈلہٕ۔ پھٹہٕ۔ م: گواہ چھُ دور۔ لیڈر چھُ دور۔

دۆر ۲۔ ن۔ مۆل: دَر < پراکرت: دَھٹہٕ اَم]۔ ا۔ وَنٛڈ۔ پوٗکھ۔ ٹولہٕ۔ قبیلہٕ۔ ۲۔ رۆو گرن واجبن ہُند پوٗکھ۔

ڈرۍ گنڈنۍ۔ ا۔ رۆو گرنہٕ باپتھ اَلگ اَلگ ژپھۍ بناونۍ۔ ۲۔ جماعژن کأنسہٕ سوا گت گرنہٕ باپتھ بُتھہٕ نیرُن۔

دۄرگرُن ۔ا۔ جماتھ بناوٕنی ۔۲۔(نژنہِ یاونونہٕ بیترِ خاطرٕ) پوٚکھ بناوُن۔

دورٕ۳۔ رٕ دٔشین نہٕ آسُن ۔ رٕ دُک شینٛگ بنٛد گژھُن۔
م:نبہٕ دور۔

دۄرگرُن ۔ رٕدٔشین بیترِ بنٛد سپدُن۔

دۄستوٗر ۔ن۔ مؤل: دوستوٗر ۔ف: دستوٗر]۔ا۔ طریقہٕ۔ رِواج۔ رِوایَتھ۔ گٔنڈتی۔ عادَتھ۔۲۔ آئین۔
۳۔ شایان۔ ضابِطہٕ۔

دۄستوٗری۔ تمِ دیاریمِ کانٛہہ سودا پوٗرٕ گرناونہٕ باپتھ (کانٛسہِ) دِنہٕ یِن۔

دۄستوٗری ۔ سُہ آکہِ یمہِ ستیٚ قبض پھٹراونہٕ خاطرٕ آبہٕ چھکِو بیترِ اندٔر ربٔرنہٕ یوان چھہ۔

دۄش ۔ن۔ مؤل: دٔش <س: دٔشا]۔ا۔ (کانٛہہ خاص کاٚم کرنس) ٹھونٛٹھ یاروٹ گژھُن۔۲۔ آلٕژ۔ کاٚم کرنس نہٕ ووندٕ یُن۔

دۄش پیُن ۔ا۔ (کامہِ) دٔس نہٕ ووتھُن (کار) رٕ دِتھ گژھُن۔ کامہِ رُکاوٹھ گژھٕنۍ۔۲۔ کانٛسہِ اِنسانس کاٚم کرنس پیٹھ لگٕنۍ۔ کامہِ کُن اَتھ وَتھ نہٕ ترٕنۍ۔

دۄش لگُن ۔ ناکار گژھُن۔ لگُن۔ خراب دوہ ترٕنۍ۔ رُکاوٹھ پٲدٕ سپدٕنۍ۔ آلٕژنال وٕلُن۔

دۄش ووتھُن ۔ واریاہ کال گژھِتھ کامہِ دٔس ووتھُن۔ آلٕژ تہٕ کہالتھ ژٕلٕنۍ۔ رُکاوٹھ ژٕلٕنۍ۔ اَتھکاودٕ رگژھُن۔

دۄکھی ۔ دُکھی ۔ا۔ دوٕکھ ز د۔ دوکھ لد۔۲۔ مُصیبَتھ زٔد۔ پریشان۔

دۄگ ۔ن۔ مؤل: دٔگ <س: دٔگھ]۔ موٹھ وُٹھتھ ماوِ ہُنٛد دٔب۔ عزادٲری کرنس دوران سینہٕ کوٚبی۔

دۄگ دۄگ دیُن ۔ موٹھ وُٹھتھ ٹاس ٹاس دِتھ تھٔکٕن ژٕلراوُن۔

دۄگ ہیتھ تہٕ بارٕ روتہٕ دۄگ دِتھ تہٕ بارٕ ۔تہٕ ڈٔپتھ گو پرٛتھ کُنہِ حالس مَنٛز ناشُکر گُذٲری یا بےزٲری۔

دۄگہ تہٕ بارٕ دوگہ ہتہٕ بارٕ ۔تہٕ ڈٔپتھ گواکہ غلطی باپتھ تہٕ سےٚ سزا تہٕ ہتھ غلطی کرنس پیٹھ تہٕ سُے سزا۔

دۄگُن ۔ن۔ مؤل: دوگن <س: دِوِگُنہ]۔ا۔ یتھ زٕ تاہ یا لرٕ آسُن۔ دوٗور۔ یتھ زٕ وار آسُن۔ م: دوگن پَن۔
۲۔ یتھ دوہِ وَتہِ کُنہِ ستیٚ واٹھ یا توٗلُق آسہِ۔ م:دۄگن رِشتہٕ۔۳۔ (وَرگہِ پٲٹھی) وَردار۔ یتھ ڈوکھ ژامُت آسہِ۔ م: کمبٔر دۄگن گژھُن۔
۴۔ دوہِ حصہٕ۔

دۄگناوُن ۔ا۔ دۄگن کرُن۔ دون پٔتن گُنٕے کرُن۔ زٕ لرٕ یکہٕ وٹہٕ کرنہٕ۔۲۔ اَصلَس بیٚنہٕ تیٚوتاہ پیٚشرُن (ہیٚوٗت دیٚت بیترِ)۔

دۄگوٗنہٕ ۔ دُگوٗنہ۔ سبٹھا بٔڈ بٔہرٕی۔

دۄل ۔ن۔ مؤل: دول <؟]۔ ناکی پکوک بڑ ونٛٹھ کنٛیگ

دامنہٕ۔

ڈِلس تَل ہیوٚن ۔ا۔ بیٚیہِ ہیوٚن ۔ بیٚیہِ مَنٛز ساوُن۔
۲۔(وَرگہِ پأٹھی) رَفاقتھ کَرٕنۍ۔ اَتھہِ روٗٹ
کَرُن۔ ضۄرٗرتہٕ وِزِ اَکار بکار ییُن۔

ڈٕلۍ ترٛ وو ۔ا۔(وَرگہِ پأٹھی) یُس اَکھ چیز اَکس
جایہِ تہٕ بیاکھ چیز بیٚیِس جایہِ بےٚ رَبط پأٹھۍ
تراوان آسہِ۔ یُس نہٕ چیزَس یا پأنٕسس رأچھ
آسہِ کران۔ لاپَروا پأٹھۍ چیز ہیترِ تراوَن
وول۔ یُس پرٛتھ کُنہِ کامہِ مَنٛز ڈیگر ہیترِ تراوُنک
عادتھ آسہِ۔ ۲۔ یُس نہٕ پَنٕہٕ نِس حسابَس واتہِ۔

ڈٕلۍ چیرٕنۍ ۔ا۔ اَدرِس پلوٗس چیرِتھ سرٛیہہ کڈُن۔
۲۔(وَرگہِ پأٹھی) کُنہِ بَلایہِ مَنٛزٕ مُشکِلہِ سان
کڈُن۔

ڈٕلۍ چیرنَس نہٕ پوشُن ۔(وَرگہِ پأٹھی) کُنہِ بَلایہِ
اَنٛدر گرفتارِ گژھتھ تمہ نِشہ نہٕ سَہَل سَہَل موکلُن۔
اِلزام لگِتھ تَمِچ صَفأیی کران کران زیوٚ پھٕلنۍ۔ رَتٕنہٕ
نِشہِ موکلنہٕ خأطرٕ قسم ہأوۍ ہأوۍ صَفأیی تارٕنۍ۔

ڈٕلۍ ژٕٹنۍ ۔(وَرگہِ) سَخ ماذرتھ کَرٕنۍ۔ (پُژھس ہیترِ)
کھیاوٕنہٕ چاوٕنہٕ روس نہٕ پٔژُن۔ لوٚچُن لَمہِ لَم کَرٕنۍ۔

ڈٕلۍ سأر ۔ا۔ مُرِس یا ہلَمس کیتھ پگناوُن ۔۲۔ ژۄرِ
ژھیٚپہِ گرِ پھَل دَل غُین گر والِنہٕ ورأے گرِ
پھَل غُین تہٕ کِھیٚن ۔۳۔ پھیکہِ پھیکہِ تہٕ موچھہِ
موچھہِ نتھ موکلاوُن۔

دۄل پیٹھ ترٛاوُن ۔(وَرگہِ) پَردہ پوٗشی کَرٕنۍ۔ عأبَس
وُرُن کَرُن۔ پَنٕہٕ نِس سایِس تَل رَٹُن۔ رَچھُن۔

دۄل چھٕلُن ۔پوٚت پوٚت غأبتھ کَرٕنۍ۔ ہأنٛژھ لاگنۍ۔

دۄل ڈٕج ۔ہَلَم۔ برٛ ڈٕ ہی پلَو۔

دۄل دِنتھ ترٛاوُن ۔ا۔ پلوٗس دِنَن دِنۍ تہٕ نیرُن۔
۲۔(وَرگہِ پأٹھی) کانٛہہ کأم اَنٛد ہیتھ ترٛاوِنۍ تہٕ
پَتہٕ زیوٚ پیٹھ تہٕ نہٕ ہیٚنۍ۔ باز خاص نہٕ کَرُن۔ اَکہِ
کُنہ بوزُن تہٕ بیٚیہِ کُنہ ترٛاوُن۔ مُشراوُن۔

دۄل دِنتھ ژٕلُن ۔ذمہٕ وأرۍ نِشہِ پوٚت ہیوٚن۔
کأم اَڈٕلیچ ترٛ اَوِتھ پأنَس نیرُن۔

دۄل دِنتھ ژھُنُن ۔پرٛوانہٕ کَرُن۔ کتھ ژٕٹنۍ۔ توٗلُق
ژٕٹُن۔

دۄل دِنتھ ووہوُن ۔سَخ وۄ ہووو کَرٕنۍ۔ سَخ اَڈزأڈ
کَرٕنۍ۔

دۄل دِنُن ۔ا۔ دامانَس گرد کڈٕنۍ۔ ٹاس دِتھ دامنہٕ صاف
کَرُن ۔۲۔(وَرگہِ پأٹھی) مُشرُن۔ کانٛہہ اَہمیَتھ
نہٕ دِنۍ۔ توجہ نہٕ دیُن۔ اَکہِ کُنہ بوٗزِتھ بیٚیہِ کُنہ
ترٛاوُن۔ دِلس پیٹھ نہٕ ہیوٚن۔ اَنٛدرٕ کۍ نہٕ ہیوٚن۔

دۄل وَہرُن ۔ا۔ ہَلَم دارُن (کیٚنٛہہ رَٹنہٕ باپتھ)۔
۲۔(وَرگہِ پأٹھی) بیچھُن۔ گدا گری کَرٕنۍ۔
آویز روزُن۔

دۄنٛد ا۔ ن۔ مۄل: دَنٛد < س: دَنٛتکہ ]۔ اَنٛد ۔ بوٚنٛٹھ۔
کِنار۔ وُڈرِ تالہِ ہُنٛد اَنٛد۔ ڈُڈرلاد۔ سَرحد۔ بَنہٕ۔

دۄنٛد۲۔ یُس دَنٛد آسِہ ۔

دۄنٛد دِین ۔ چاروایَن ہُنٛد بٔگو میٖژ پھَش پھَش دِیُن ۔

دۄ وۄس ۔ن۔ مۄل: دۄ وۄس > ع: دیوث] ۔ کولہٕ ۔ دَلہٕ ۔ بَد ذاتھ ۔ کُمینہٕ ۔

دۄہ۱ ۔ن۔ مۄل: دٔہ > س: ویدِک: دیہہ/ دَشا] ۔ دۄنٛد ۔ بۄٹھ ۔ کِنارٕ ۔ م: ڈل دۄہ ۔

دٔہس پٮ۪ٹھ ۔ (سرِ بیترِ کِس) بُٹھس پٮ۪ٹھ ۔ پیٖٹھِن سوٗرے نظارٕ بوزنہٕ یِیہ ۔

دۄہ۲ ۔ وُچھو ''دوہ'' ۔

دوہ۳ ۔ یتھ منٛز داہ آسِن ۔ یکوٹہٕ داہ ۔

دوو۱ ۔ن۔ مۄل: داد > پرٛاکرت ۔ دوَدھ > س: دَگدھ] ۔
۱۔ بِمأری ۔ زُونہٕ اور آسُن ۔ ۲۔ دَگ ۳۔ دوکھ ۔ غم ۔ بِناوتھ بیترِ یُس کأنسہِ بأوِ زِ ۔ ۴۔ لوسہٕ ہٕنٛز پرٛسنہٕ وِزِ بختی ۔ آزار ۔ ۵ ۔ ژُک ۔ کأنسہِ ہُنٛد سخ سرٛنیہ یا مالئے ۔ ۶ ۔ کأنٛہہ ٹوٹھ بیترِ راوُنک یا مرُنک غم ۔

دأدی باوِنۍ ۔ پنُن کأنٛہہ یار بیترِ پنٕنہٕ تکلیفہٕ نِشہٕ واقِف کرُن ۔ پنٕنہٕ گُدرِنک حال دۄیمس کأنسہِ وَنُن ۔

دأدی کانٛگر وِنۍ ۔ پنٕنہٕ بَنہٕ پیٚچ گتھ دۄیمِن باوِنۍ ۔ پنٕنہٕ نِس گُدریمتِس بیٚیس نِش پھیر دِیُن ۔

دأدی وَنۍ ۔ پنٕنہٕ تکلیفہٕ پیٚچ باوتھ کرٕنۍ ۔ حالٕ ثاتھ وَنۍ ۔ نوزِ دِنۍ ۔

دأدی واوُتلنۍ ۔ وأنٛج زالٕنۍ ۔ حسدٕ نہِ نارٕ زالُن ۔

اَزَروُن پأدٕ کرُن ۔

دأدی وأ دوہ ژھنۍ ۔ بیٚے سُندِ دَزُن ۔ بیٚے سُند بَدیُن ۔ تسٕنٛز جأنی ہتی ژٕر ووتھُن ۔ اَزَروُن یُن ۔

دود بَرُن ۔ گُنہٕ بَڈ دوہہٕ یا جان کامہِ وِزِ ٹوٹھ یاد پیٚون ۔

دود باوُن ۔ بیٚیس نِشہٕ بناوتھ پھٔرُن ۔

دود تُلُن ۔ ۱۔ اَزَروُن اَنُن ۲۔ مُٹھو دَگ ژِتہٕس پاوِنۍ ۔

دود لللہٕ وُن ۔ ۱۔ تکلیف تُلُن ۔ دَگ بَرداش کرٕنۍ ۔ وِہُن ژالُن ۔ ۲۔ وُچھو ''دَگ لللہٕ وِنۍ تہٕ'' ۔

دودِ ووتھُن ۔ بیٚے سُند بَجَر نہٕ خوش یُن ۔ اَزَروُن یُن ۔ ژٕر ووتھُن ۔

دود ہیٚون ۔ بیٚے سُند بارمتہٕ ہیٚون بیٚے سُند بَدَل تکلیف تُلُن ۔

دور۱ ۔م۔ مۄل: دور > پرٛاکرِت: دَوَڑ ۔م۔ ہ: دوڑ] دَو ۔ ٹکھ ۔

دورِ دور ۔ دَوِ دَو ۔ ٹکہٕ ۔ ٹکھ ۔

دورِ دور کرٕنۍ ۔ ۱۔ ٹکہٕ ٹکھ کرٕنۍ ۲۔ بانٛگرِ ہوٚت ۔ ہورتہٕ یور دَوُن ۔

دور ترٛاوِنۍ ۔ ۱۔ ہلہٕ گوٚھن ۔ ٹکھ ٹکنۍ ۲۔ جَل جَل (کیٚنہہ) اَنٛد واتناوُن ۔

دور ژٕھنۍ ۔ ٹکھ ترٛاوِنۍ ۔ جَل گوٚھن ۔

دور۲ ۔م۔ مۄل: دور] ۔ دوٗرِ وان ۔

دوٗرِ پٮ۪ٹھ ۔ ۱۔ دوٗرِ وأنس کھأرِتھ (ہیٚنٛز بیترِ) ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) کامہِ تَل ۔

دورِپھیُر۔ ووِورِ ہیتز نِگنی وونان وونان پتھ بڑوٗنھ تِی۔
دورِ کھارُن۔ ووِورِ وانس پیٹھ پیٖنی وَہراوٕنی۔
دورِ کھورمُت۔ ووِورِ وانس پیٹھ کلہٕ لوٗگمُت (کپُر بیترِ)
دورِ ووتھ۔ ووِورِ وانہٕ پیٹھ وولمُت کپُر۔ نوٗو کپُر۔
کپُر یُس وُنہٕ آسہٕ نہٕ لاگنہٕ آمُت۔
دور۳، دَور۔ ا۔ چکر۔ پھیرُن ۲۔ وَقت۔ زَمانہٕ۔
دورِ زَمانہٕ۔ وَقتُک اِنقلاب۔ تبدیلی یوسہٕ زَمانس یِوان چھےٚ۔ وَقتُک پھیُر۔
دورِ فلک۔ زَمانُک پھیُر۔ آسمانُک گَردِش حالاتن ہُند بدلُن۔
دور آسُن۔ کانٛسہٕ ہُند زَمانہٕ آسُن۔ کانٛسہٕ ہند بجرُک سَے آسُن۔
دور گرٕنی۔ بجہٕ بجہٕ جایہٕ افسری یہٕ پڑا اوتھ ژھوٗہ دِنی۔
م: تمِ چھےٚ پننہٕ وَقتہٕ کم دورگرٕی ہتی۔
دورٕ۔ ا۔ کانٛسہٕ افسرَس بیترِ سُند کُنہٕ جایہٕ نظرگُذر دِنہٕ گوٚژھُن۔ ۲۔ چکر (نوٗنک)۔ ۳۔ بیمارِ ہُند وَقتہٕ وقتہٕ کُنہٕ بدٕلن تہٕ کینٛژَس کالس روزُن۔
دورٕس گژھُن۔ ماتحت جاین مُلاحظس گژھُن۔ (کُنہٕ مَطلبہٕ) کُنہٕ علاقس پھیرُن۔
دورِ گرُن۔ ا۔ چکر گرُن۔ پھیرُن تھورُن ۲۔ تیلُن۔
پیڈُن۔ (رَنگ بیتر)۔ اکِہ جایہٕ پیٹھ بیٚیس تہٕ بیٚیس جایہٕ گوٚژھُن۔
دورُن۔ <پڑاکرت: دَوڈ۔ م۔ ہ۔: دوڑنا]۔ دَوٚتلُنی۔
ٹِکہٕ پکُن۔
دورِ یِن۔ ا۔ کانٛہہ ڈیٖشتھ) تَس بڑوٗنہہ کُن دَوِ گژھُن۔ دٕلی دٕلی تس نَش یُن۔ (شوقہٕ کنی)۔
۲۔ کانٛہہ کام موکلاوِتھ ٹِکہٕ واپَس واتُن۔
دورِ ناوُن۔ ا۔ ٹِکھ تُلہٕ ناوُن ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) جَل جَل سوزُن۔
دوردورٕ۔ ن۔ مؤل: دوردور <ع: دور۔ (دوگناوِتھ)۔
م۔ ہ: دور دورا]۔ دبدبہٕ شاہی۔ م: کتہٕ روٗز راوَنس سےٚ دورٕ دور کتہٕ روٗد لنکایہٕ کاشتھ پور۔
دوزُخ۔ ن۔ مؤل: دوزخ <ف: دوزخ ]ا۔ نَرک۔ جہنم ۲۔ سزٕ لنٛکس منٛز اَکھ خانہٕ۔ ۳۔ تژہ جاے یتہٕ تکلیف واتہٕ۔ ۴۔ (وَرگہٕ پاٹھی) سو جاے یتہٕ سبٹھا گند آسہٕ۔
دوزخِنہٕ نارٕ دَزُن۔ ا۔ (وَرگہٕ) اَندری دوکھ للہٕ وُن۔ ۲۔ وأژھرٕ کورِ متلق وَنان یَس نہٕ کھاندر سبدان آسہٕ۔
دوزخُن نار۔ دوزخُک نار۔ سخ توٚت نار۔ نارِ جہنم۔
دوست/ دوس۔ ن۔ مؤل: دوس <ف: دوست ]۔ یار۔ رَفیق۔ ہمدرد۔ یُس اَتھہٕ روٗٹ گرِ پکُن۔
دوستادغازا اِنکھا دوپنِس الحمدُ اللہ۔ تہٕ دٕپتھ گو یُس کانٛہہ پکُن گُنزرِ زبن سہٕ تہٕ چھُ کُنہٕ ساتہٕ دوکھ گران۔

دوستانہٕ ۔یارٕز۔یارانہٕ۔

دوسدآری۔یارٕز۔دوٗستی۔

دوسدآری لاگٕنۍ۔یارانہٕ لاگُن۔

دوگلہٕ۔ <س:دوٕ+گولہ ]۔زٕ قسم رلاوِتھ تیار کرنہٕ آمُت۔دون ذاژن یا دون نسلن ہنٛزِ بنٛی یاز پیٹھ بنٛیوٗمُت۔گولہٕ پاریم۔

دول۔ن۔موٗل<س:دُل]۔(ورگہٕ)۔ٹالُن۔گوش دیُن۔

دول دیُن۔ا۔کُنہِ کامہِ لٕد بوٗر ذِمس منٛز اُتھکاو اَنُن۔ییٹھ اَنٛنۍ۔زِچھر دیُن۔کام کرنہٕ نہٕ دِنۍ۔ٹھونٛٹھ اَنٛنۍ۔۲۔گوش دیُن۔تَن نہٕ دِنۍ۔دِیان نہٕ دیُن۔

دول لگُن۔ٹھونٛٹھ ہیٛنٛۍ۔زِچھر لگُن۔ییٹھ لگٕنۍ۔کَتھِ ژیٹھ یا ژیرٕ لگُن۔

دولہٕ۔موٗل:دول <س:دُل ]۔ا۔سیٖدٕ آیہِ نہٕ۔ہجرس منٛز۔۲۔ٹھرِ۔بُتھِ۔۳۔یَس نہٕ اُچھ سبزرس منٛز آسَن۔ بجہٕ اُچھ کرِتھ۔شورٕ۔

دولہٕ ہیُن۔ا۔بُتھِ روزُن۔روٗٹ کرُن۔۲۔ڈُلتھ باسُن۔وپُن نہٕ۔

دولہٕ ڈُکون۔بلکل شور۔یَس اُچھن ہنٛدِس ترتیبس منٛز ہشر آسہِ نہٕ۔سُہ شخص یَس اَکھ اُچھ بڈتہٕ بیاکھ لوکٕٹ آسہِ یا اَکھ اُچھ ہیوٚرتہٕ بیاکھ بوٚن آسہِ۔

دولہٕ دولہٕ۔ہوٚل ہوٚل۔تَیارٕ یِیارٕ نہٕ وٕتھ آسہِ۔سیٖزِ وَتہٕ نہٕ۔وَسہٕ وِنس مُخالف۔لانٛنۍ لانٛنۍ۔

دولہٕ روزُن۔ا۔بُتھِ روزُن۔ٹھرِ روزُن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی)روٗٹ کرُن۔اُتھکاوٕنُن۔کام کرنہٕ نہٕ دِنۍ۔

دولہٕ لگُن۔بُتھِ لگُن۔ٹھرِ لگُن۔منٛزیُن۔رُکاوٹھ پادٕ گرٕنۍ۔وَتہٕ منٛز کانٛہہ چیز تتھ پاٹھی۔یُن۔یتھ زَن بیٚیہِ کینٛہہ بڑ وَنٛہہ پکٕتھ ہیٚکہ نہٕ۔

دولہٕ وِچھُن۔ا۔اُچھن ہنٛد ہو کوٚنو کِنۍ وُچھُن۔سیٖدٕ آیہِ نہٕ نظر ترٛاوِنۍ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی)۔کانٛسہِ ستۍ ضِد ورتاوُن۔

دولہٕ یُن۔(ورگہٕ)کام موکلان تتھ منٛز کانٛہہ روٗٹ یا اُتھکاو پادٕ گرُن۔

دولہٕ ڈٕنۍ۔لوکٕٹ وَن۔یُس بےٚ ڈب آسہِ۔

دون،دیوٗن۔ن۔موٗل:دون <س:منتھانہ/دنڈ]۔گرُس منٛدنٕک بوٚڈ ڈچھوٚنٛھ۔

دونٛنۍ۔پرٛانہِ حِسابہٕ موٗجوٗب روپیہ ہُنٛد اُٹھیُم حصہٕ۔

دونہٕ ا۔ن۔موٗل:دون <س:ویدک دھنہٕ ]۔بالُک توٚتل پَل یُس نبر گَن وژامُت آسہِ۔

دونہٕ ۲۔دونہٕ نٕک اوٗزار۔

دوٗنُن۔ن۔موٗل:دون <س:دھوٗنَنہٕ ]۔ا۔پھمب یا ییربیترٕ (دونہِ ستۍ)مُسُتھ کرُن۔رُم رُم علاحِدٕ کرُن۔دوٗنُن کتٕن لایق بناوُن۔بٕرنس یا کتنس لایق پھمب بناوُن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی)کَنہ بےٚ واری کرٕنۍ۔۳۔ژھنٛڈِتھ ترٛاوُن۔ژوپاری

دِچھن۔م: شہر دۄنتھ تژاوُن۔

دۄنتھ تژاوُن۔ا۔رُم رُم علاجِد گرتھ تژاوُن (پھمب بیترِ)۔بیون بیون کڈتھ تھوُن۔۲۔(ؤرگہِ پاٹھی) کانسہِ سنٛخ بے یزتی گرنی۔زبردس لان طانہٕ گرُن۔۳۔ژوپارٕ وۄن دِنہٕ پھیرُن۔

دونہٕ ؤنی۔(پھمب بیترِ) دونچ موزوری۔

دۄنۄتر، دِنوتر۔(دَن وَن تر) ن۔مۄل: دِنوتر < س: دھن ونتر]۔ا۔یتھ کالُک اَکھ مشہور حکیم (وید)۔ ۲۔(ہزلہ) پانٛس گاٹُل وَن وول۔زیرکھ۔

دۄپتھ۔م۔مۄل: دۄنپ]۔گپھتر۔

دونکھ۔م۔مۄل: دونکھ < س: دَنشہ]۔ڈگ۔

دۄنکھہِ دۄنکھ۔ا۔ڈگہِ ڈِک (جاناوارن بیترِ ہنٛز)۔۲۔پامہٕ پام۔پامہٕ ووتُر۔اَکھ اَکس لڑلیہ بیترِ منٛز گتھ دِنہٕ۔۳۔شُربن بیترِ ہنٛز زورٕ اَکھ اَکس ستی زِکھ زِکھ۔تلنہٕ باپتھ زورٕ اَکھ اَکس زیرزیر۔۴۔وادس واد۔

دوو۔ن۔مۄل: داو]۔موٗٹ پنٛن یُس پکون بیترِ چھاوان چھِ۔

داوی دار۔(سہٕ پکو) یتھ دوو چھاونہٕ آسہِ آمُت۔ دوو چھاوِتھ پکو۔

داوی گرتہٕ۔تیٛوت دوو یُت زَن اَکس پکوس چھاوُنس لگہِ۔

داوی کوٗٹ۔اَکھ داوی دار۔تیٛوت دوو یُیمہٕ ستی یسہٕ ستی اَکھ پوش کھسہِ یا اَکھ نقشہٕ بنہٕ۔

دوولاگُن / دوو چھاوُن۔نالُس نُرس بیترِ دووٕ یسٕ نوٕ ستی مرُن۔

دوب ا۔ن۔مۄل: دوب]۔کھوڈ۔۲۔پاش کھوڈ۔ ۳۔جسمہٕ کہِ گنہٕ یتہٕ تانک روب یا لوگٹ کھوڈ ہیٚو۔ م: تالہِ ہُنٛد دوب۔ہونگنہِ ہُنٛد دوب۔ ۴۔گنہٕ بانٛس بیترِ ژامُت بٔٹھ یا کھڑوپ۔ ۵۔(ؤرگہِ پاٹھی) سنبر۔ پاتھُل۔ سنٛزک علاقہٕ پائین۔

دوبَس ژھنٛن۔ا۔کھوڈس منٛز تژاوُن۔دۄبراوُن۔ دۄبرُن۔۲۔(ؤرگہِ پاٹھی) تباہ گرُن۔ وٲران گرُن۔۳۔تل گرُن۔بُرتھ دیُن (کانٛہہ مامِلہ بیترِ)۔

دوبَس گرٛھن۔ا۔کھوڈس گرٛھن۔زِیسس گرٛھن۔ربہٕ پھٹُن۔۲۔(ؤرگہِ پاٹھی) گنہِ ناکارٕ کارس تَن دِنی۔

دوبہٕ پاہ۔سو پاہ یوسہٕ پاش کھوڈس منٛز تیار چھے گرنہٕ یوان۔

دوبہٕ کون۔سہٕ شخص یُس اَکھ اَچھ دِستھ گوھنہٕ کنٛی یا کوٗرنہٕ یِنہٕ کنٛی اَچھ ہنٛز جایہ کھوڈ آسہِ گومُت۔ کھوڈ کون۔

دوب دیُن۔کھوڈ بناوُن۔گُلی رُونہٕ باپتھ ژمینس سنبر دیُن۔

دوبَل ۔ا۔یتھ دوب آسَن ۔یتھ کھوڑ آسَن گاٹتٕ ۔ بےٚ سوٚم(زٔمین بیترِ)۲۔(وَرگہٕ پاٹھی) خراب۔کھرٕ پٕ دار۔

دوپھاِ ۔ن۔مؤل:دوپھ ]۔گوٚن زَنٛڈ۔تھَرِ چالہِ گُل یتھ کأنی لَنٛجہِ نیران چھےٚ مگر زیادٕ تھَد ان چھنہٕ۔

دوپھ خور۔سُہ چاروٲے یُس زنٛڈن ہُنٛد پن تہٕ لَنٛجہِ تُرٕ کتھ زُوان چھُ۔

دوپھ رازما۔رازٕ مہَن ہُنٛد اَکھ قٕسم اَتھ چھنہٕ ژرِ کانٛجہِ نیران۔

دوپھ کھاو۔چارواٮ۪ن ہنٛز سوذات یوسہٕ زیادٕ تَر باپَتھ کھیٚنہِ چھےٚ پَسند کران۔

دوپھ۲۔( کانٛہہ باڈٕ وَدار چیٖز )ؤسی پیٚنگ صَدا۔

دوتہٕ دوتہٕ ۔ن۔مؤل:دوت<س:دھوٗتہ ]۔ پُرٕ پار ( گیٚرَس بیترِ ) تویُن تویُن۔

دوتہٕ دوتہٕ گرُن ۔تویُن گرُن۔پھُتہٕ پھُتہٕ گرُن۔

دوتہٕ دوتہٕ گرٕھُن ۔پُرٕ پار گرٕھن۔پَریُن گرٕھُن۔

دوختَر ۔م۔مؤل،دوختر<ف:دُختر] کوٗر۔

دود۔م۔مؤل:دود<پرٛاکرِت:دوٗر<س:دُگدھ]۔ ا۔سُہ چھوٚت تَرَل چیٖز یُس کیٚنٛژن مادٕ زُودأ ژَن بچَن پٮ۪ واتناونہٕ باپتھ ہَن منٛز دو پدان چھُ۔ ۲۔سفید ملیہ ہیٚو یُس پٮ۪نہٕ بزِ وٗنہہ'دانبس کٕنہِ گُس مکایہٕ بیترِ ہٕنٛدِس گولرِس منٛز آسان چھُ تہٕ پتہٕ پٔھتھ دلنہٕ چھُ بنان۔ چھِر۔۳۔گرٕ سوٗژلہِ۔

دؤدٕ جہِ بیترِ گاسہِ ذأژن اَنٛدَر سَفید رَنٛگہٕ پانٛیل مادٕ ۔۴۔صاف۔شوٚد۔یتھ نہٕ کانٛہہ کھوچرٕ آسہِ۔

دودِج ۔ا۔دود دِینٕی گاو۔۲۔سوگاو یوسہٕ ژور دود آسہِ دِوان۔۳۔اَکھ گاسہٕ قٕسم یتھ اَنٛدَر ردود ہیٚو رَس چھُ آسان۔

دؤدٕ رِش۔دِودٕ رِش۔

دودَس دِرٕ ریٚننٛی۔گوڈٕ گوڈٕ یا پُنے گنہِ چیٖزَس کھُریُن۔

دودَس سِسَر لٕگنی ۔(وَرگہٕ) شُروٗ چھتھ ملیہٕ۔ موٚجیٚنس گرٕکھ لٕگنی۔ماجہِ مَمتا پھیرٕنی۔

دودَس گَنٛڈی ژارٕنی ۔(وَرگہٕ) کُنہِ چیٖزَس تیٚتھ نوقص کَڈُن یُس تَتھ اَسی تھےٚ ہیکہِ۔

دودٕ ۔ا۔دودٕ دار۔دودٕ رَنٛگہٕ۔گَچھرٕ سان سَفید۔۲۔لووتہٕ اُوٗیُل ۔م:دودٕ ہبڈُر۔دودٕ اَمبرٕ۔

دودٕ اَل ۔سِوتھ اَل یتھ زامُت دودلا گنہٕ پوان چھُ۔

دودٕ اَمبرٕ ی ۔اَمبرٕ ی ژؤنٹین ہُنٛد اَکھ اُوٗیُل قٕسم۔

دودٕ اَہگھ ۔دودٕ ستیٚ اُڈراونہٕ آمُت گَچھ یتھ پھَمب تہِ رَلاونہٕ یوان چھُ۔

دودٕ بَب ا۔دودٕ ماجہِ ہُنٛد خانہٕ دار۔

دودٕ بَب۲۔ا۔مومہٕ یُس دودٕ ستیٚ برِتھ آسہِ ۔۲۔دود چاونک اَکھ شُربن ہُنٛد بانہٕ ۔شیٖشہِ بوتَل بیترِ یٮ۪مہِ ستیٚ شُرِ ی دود چوان چھِ۔

دودٕ بَبہٕ بَرنہٕ پِنہٕ ۔ا۔(ل۔م) ماجہِ شُرٕ چھتھ دودٕ

ٲرن بِسر لگٕنۍ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) ماے
پھیرٕنۍ۔ سرٕ یہہ پھیرن۔لول گٔژھن۔۳۔ہٕنگہٕ
منگہٕ طرفدأری کرٕنچ شکل گنٛڑنۍ۔

دوٕد بڑکھ(پیٚون۔لگٕن)۔۱۔شُرِس وَقتہٕ برٛونٛہہ
دوٕد ژھنُن یا دوٕد ژٕنہٕ یُن (مأجہِ آسنہٕ یا بیٚیہٕ
کُنہِ بتھی وجہہ کنۍ)۔۲۔شُری پانہٕ دوٕد نہٕ ہیٚنہٕ
کِنۍ تہٕ کمزوٗری آسٕنۍ۔۳۔(ہزلہٕ)جسمہٕ کنۍ
ووٚتھ پوٚتھ اُستھ تہٕ بیقل آسُن۔

دوٕدبڑگ۔بڑگن ہُند اکھ قسم۔سفید بڑگ۔

دوٕد بڑور۔(وَرگہٕ) سُہ شُریس باقے چیزن
مُقابلہٕ دوٕد زیادٕ پسند آسہِ۔یُس دوٕدس کُن
گل آسہِ روزان۔

دوٕد بہا۔گرٕ کہٕ ونہٕ دوٕدک بہایس گوٚنڈس ہوِس کُنہِ
اُوِلس چیزس صاف کرنہٕ باپتھ دِنہٕ چھِ یوان۔

دوٕد بوے۔دوٕد ماجہِ ہُند نیچو۔سُہ خاص نفریُس
مہرازس سٟتۍ مٟژ چھُ آسان۔

دوٕد بیٚنہٕ۔دوٕد ماجہِ ہنٛز کوٗر۔

دوٕد پراژن ٹٲکھ لگٕن۔لوکچارے منٛز مصیبتھ پیٚون۔
لاوِس منٛز ژھوکھ لگٕن۔م۔اکہِ نیرٕ نے تلہٕ زیٚل۔

دوٕد پراژ۔۱۔شُری ہنٛز دوٕد برتھ پراژ۔
۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ)۔لوکچار۔ناتجربہ کاری۔
م۔دُنہٕ چھس دوٕد پراژے۔

دوٕد پراہ۔۱۔گوبہٕ کھوٕر زنانہٕ لوسہٕ یا زا شُرِس
لارنہٕ گژھنہٕ یا مُرژھایہٕ پینہٕ۔۲۔شُرِس دوٕدس
پنٛچ تہٕ پنٛچ گرٕنچ شکل گنٛڑنۍ۔

دوٕدٕ پھٹہٕ۔بٔن دوٕد کھسنہٕ کنۍ کھوتمت ہُنبر۔

دوٕدٕ تہٕ دانہٕ رَچھُن۔مایہ تہٕ موحبتہٕ سان پلالہٕ
گرُن۔جان جان چیز کھینٕنۍ دِتھ پرٕورِش کرٕنۍ۔
یہ ڈُلۍ زِتہٕ خوٗیہٕ سٟتۍ رَچھُن۔

دوٕدٕ چأے۔اکہِ قٕسمٕچ مَلر یتھ منٛز دوٕد تھاوان
چھِ۔دوٕد منٛدرنٛچ کیے۔

دوٕدٕ دَنٛد۔دنٛدن ہُند گوڈنیک پوٗر۔

دوٕدٕدام۔تیٚوت دوٕد یُوت اکہِ پھرٕ اُسس واتہٕ۔
دوٕددام دیُن۔شُر بَبہٕ رٹُن۔

دوٕدٕ ڈُلۍ تہٕ نابد ٹُلۍ چھنہٕ پوشان۔تہٕ ڈیٚتھ گو
سوٗنۍ پشیہٕ ہُند ہیٚوت دیُت چھنہٕ پوشان۔

دوٕدٕ رٕے گژھن۔۱۔زیٚوٕنے ہوکھُن تہٕ ہرُن۔
۲۔(کھیٚن چَن نہٕ واتنہٕ کنۍ موصُم شُر)ہوکھُن،کمزور
گژھُن۔۳۔شُتلیٚن ہُند نیران نیرٕنۍ وسُن۔
۴۔لوٗشہٕ منٛز رے گُنہِ موٗک ییترٕ رٕے گژھُن۔

دوٕدرِش۔سُہ ضِد یُس بأے بارٕنۍ اُستھ تہٕ کینژن
چھُ آسان۔

دوٕدٕ زَنگ۔برٕ ژِکورِ دوٕدٕنک اکھ شوٚگوٗن۔

دوٕدٕ زِبل۔کأرِتھ دوٕدس پیٚٹھ لوٗگمت کوٚر ہیوٗ۔ملأے۔
ہَر۔

دوٕدٕ ساتھ۔سُہ دوٕہ بیٚلہٕ کورِ ہالنۍ پوٚکھ گوبہٕ کھوٕر

آسنَس دوران یا شُر زٕتھ دود دِیہ۔ دود دِنٕگ ساتھ۔

دوٕدِ ستی چھلتھ۔ کُمی پیٚشی وَرأے تہٕ کھوچرٕ رۄس (بقایا ادا کرَنَس منٛز یٔقیٖن دِنہٕ پٕژھی وَننہٕ یوان)۔

دوٕدِ سوٚنی۔ ۱۔ نوشہٕ ہُند یا زامتٕری سُند دوٕدِ مول۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) تازٕ سوٚنی۔

دوٕدِ سیٚنی۔ دود لأگِتھ سیٚن۔ آب گوش۔ یَخنی۔

دوٕدِ شُر۔ ۱۔ دود چوٚن شُر۔ موصُم شُر۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) وأنسہٕ کِنی سیٚٹھا لوکُٹ۔ ۳۔ (ہزلہٕ) ناسمجھ تہٕ ناتجربہ کار۔ آچھر۔

دوٕدِ شُری باپار۔ ۱۔ دوٕدِ شُر بن ہُند ہیٚو وَرتاو۔ ۲۔ (وَرگہٕ) ناتجربہ کأری کِنہٕ تہٕ کرُن ییہٕ نہٕ کرُن پیٚو۔

دوٕدِ شُری پأٹھر۔ وِچھو "دوٕدِ شُری باپار"۔

دوٕدِ کر۔ بگارَس پیٚٹھ رۆنمت زامُت دود۔ اَکھ سیٚن،

دوٕدِ کرأر۔ دود ژٕومرأوِتھ تہٕ ہو کھنأوِتھ بنأومُت چیٖژ ژوٚٹ۔

دوٕدِ کرٕپڈ (کرٕڈ)۔ ۱۔ اکھ قسمُک رأٹھ دار کرٕپڈ یَتھ۔ دود ہیٚو رَس چھُ آسان تہٕ سفید پوش پھولان چھِ۔ ۲۔ اَکھ داں ذاتھ۔

دوٕدِ کرٕ ؤر۔ دانیٚگ اَکھ قسم۔

دوٕدِ کنٛڈِ ج۔ اَکھ گاسہٕ ذاتھ یَتھ کنٛڈی دار ہنٛدِ ہوی وُتھر چھِ آسان۔

دوٕدِ کوٚنٛڈ۔ ۱۔ نیٚگ تہٕ لوو کوٚنٛڈیُس وُنہٕ دَرٕنومُت آسہٕ نہٕ۔ ۲۔ وِدیوسہٕ شُر بن ہیٚتر تاپس یا ڈٲنس چھےٚ نیران۔

دوٕدِ کولہٕ پکنہٕ۔ ۱۔ دود وأنفر آسُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) یاپَر جأیی آسُن۔ بجأیی آسُن۔ بخشاوأری آسُن۔

دوٕدِ کر دِیار۔ دود دَس تہٕ آپکر دیار آبَس۔ تہٕ دُپتھ گو پتو لاگن چھےٚ اَصلُچ کمأے رٕژِ دِتہٕ لگان تہٕ حرامچ کمأے حرامچہ دِتہٕ لگان۔ غلط طریقہٕ کماونہٕ آمژ دَولتھ چھےٚ پوٚتس۔ پھرارِ تھرارِ گوٚھان۔

دوٕدِ گب۔ لوو تہٕ سأدٕ روار سبزی وُتھر۔

دوٕدِ گگر۔ (وَرگہٕ) نوژُک دوٕدِ شُر (ٹاٹھر کِنی وَننہٕ یوان)۔

دوٕدِ گگرن لارٕژا آسُن۔ دود چوٚنی شُری تام کھوژ ناوُنی۔ نِکی شُری کاتھہٕ ناوُنی۔ سأری نے کانٛہہ تھوٚن۔

دوٕدِ گلبن تر ژٕلنہٕ۔ دود تہٕ نہٕ چینہٕ دیُن (وَرگہٕ پأٹھی)۔ لوکٕٹے تاوَس لاگن۔ لوکچار پٔنٛدی کڈُن۔

دوٕدِ گلی بَرنہٕ تنی۔ (وَرگہٕ)۔ موٗ دُرلگن ہیٚوتھ۔ سادیُن

دوٕدِ گوٗر۔ دودٕ کنُن وول۔ گأو رٕ چھتھ دودٕ کنُس پیٚٹھ گذ ارِ کرُن وول۔

دوٕدِ مٹھ ہیٚو۔ پژون تہٕ پٔژھ۔ خوش یوٗن۔

دوٕدِ مالے۔ شُری ہنٛزِ تَس زنانہٕ ستی لے یَس دود آسِن چومُت۔

دوٕدِ مالیُن۔ زنانہٕ ہنٛزِ دوٕدِ ماجہٕ ہُند گر۔

دوٕدِ موج/ماج۔ ۱۔ ماجہٕ وَرأے سو زنانہٕ یَمی ہنٛزِ بَہ دود آسہٕ چومُت۔ ۲۔ سوٚنی یوسہٕ مہر ینہٕ (کور) گوڈٕ گوڈٕ وأرِیوٚ ستی چھےٚ گوٚھان۔

دوٕدِ موصُم۔ ۱۔ سہٕ شُر یُس وُنہٕ دوٕدے آسہٕ چوان۔

۲۔(ہزلیہٕ) چور۔ شُرل گرٕن دول۔

دوٗدٕمول۔ دوٗدٕ ماجہِ ہُنٛد خانہٕ دار۔

دوٗدٕ نارن ہسر لگنی۔ سخ لول ینٛن۔

دوٗدٕ وٕٹ۔ لأو مکایہِ وٕٹ۔ سو مکایہِ وٕٹ یتھ پھلٕہ ڈری آسن نہٕ گأمتی۔

دوٗدٕ وُگرٕ۔ دوٗدَس پٮ۪ٹھ رٕنٛمت نرم بتہٕ۔ دوٗدٕ فولاوٕ۔

دوٗدٕ وۄڑھ۔ ۱۔ گأوہُنٛد دوٗد چوٗن نہٕ ووڑھ۔
۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) چور۔ بڑیٹھ۔

دوٗدٕ ہَر۔ مَلایہِ چالہِ سٕہ مۄٹ کوٚر ہٕیُس دوٗدَس پٮ۪ٹھ گنہٕ ییہان چھُ۔

دوٗدٕ ہار۔ (وَرگہٕ) تم پوٚنسہٕ یم پٔکھی دار کوٗرِ دوٗدرنہٕ وِزِ دوٗدَس بدٕل یا دوٗد مٔلی ہنہٕ باپتھ سوزان چھِ۔

دوٗدٕ ہال۔ اَکھ داں ذاتھ۔

دوٗدٕ ہلمہٕ۔ ہلمہٕ گاسُک اکھ قسم۔

دوٗدٕ ہبڑٕر۔ ۱۔ ہبڑٕرن ہُنٛد اَکھ قسم یُس رنٛگہٕ سفید تہٕ اُوٚنٛل چھُ آسان۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) لوکٕٹ شُر۔ مأصوم شُر۔

دوٗدٕ ہمہٕ۔ اَکھ ہمہٕ ذاتھ۔

دوٗدٕ ہیوٚل۔ سٕہ داں، کنکہٕ یا وِشکہٕ ہیوٚل یتھ صِرف چھر آسہِ گأمٕژ تہٕ دٕنہٕ پیہٕ نے آسہِ۔

دوٗد بخشُن۔ (وَرگہٕ) شُر کوٚٹ ماجہِ یا دوٗدٕ ماجہِ خدمتھ گرنہٕ چوذِمہٕ وأرِیہٕ نشہِ مُچھرٕ ٹراوُن۔

دوٗد تہٕ کول آسُن۔ (وَرگہٕ) تہٕ بٔنٛن ییہٕ نہٕ بنٛنے آسہِ۔

مُ: کرٕہُن شین پیوٚن۔

دوٗد چوٚن۔ (وَرگہٕ)۔ عأش گرٕنی۔ آرام گرٕنی۔

دوٗد دِیُن۔ ۱۔ دوٗد چاوٕناوُن۔ شُر بَبہٕ تل ہیوٚن۔ ۲۔ دوٗدٕ دِج آسُن (گأوبیترٕ ہُنٛد)۔ ۳۔ بَبہٕ رٕچھُن۔ ۴۔ پالہٕ گرُن۔ ۵۔ کوٚرٕ وقس آسنہٕ وِزِ تٔسٕندٕ وأرِیُو شُوٗگوٗنہٕ باپتھ زامُت دوٗد سوزُن۔

دوٗد لگُن۔ وأری وِنہٕ گأو وُیس دوٗد سمُن ہیوٚن۔ گاو پرٕسنٕس تیار آسنی۔ (گأوہُنٛد) وُے والُن۔

دوٗد نگھہٕ والُن۔ ماجہِ یا دوٗدٕ ماجہِ ہنٛدِ دوٗد چاوٕنک اِحسان نِگہِ والُن۔ رٕچھُن حق نِگہِ والُن۔ فورمانبرداری تہٕ خدمتھ گرٕنی۔

دوٗد وُسُن۔ ۱۔ بٔنُن سرٕ یہہ پھیرُن۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔ پرٕسنک وَق نزدیکھ واتُن۔

دوٗد والُن۔ (وَرگہٕ) خبر ییٚنی (ناشائستہٕ کلامہٕ ملنہٕ یوان)۔

دوٗد ہتھ گرٕشُن۔ بٔتہٕ کورِ ہُنٛد گوبہٕ کھورٕ رٕوٗ زِتھ مالنہٕ پٮ۪ٹھ وأرِیُو زامُت دوٗد ڈیُن۔

دوٗد ہیوٗ۔ ۱۔ سفید۔ ۲۔ گنہٕ مِلاوٹہٕ روٚس۔ شوٗد گنہٕ مِلہٕ مِشہٕ وَرأے۔ ۳۔ (وَرگہٕ پأٹھی)۔ یہٕ ٹاکارٕ آسہٕ تہٕ سیٚو ڈے ہوٚ زاژِ۔

دوٗدُر۔ ن۔ مۄل: دوودر < س: دَردَر] ۱۔ سوسرٕ یومُت۔ زرٕزٕ یومُت۔ خستہٕ گومُت۔ خراب گومُت۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) تۄرٕ کانہہ کتھ یا حرکتھ ییمہٕ ستی گرس بیترٕ اَنٛدٕ رنفاق ووتھِ۔ ڈرٕوٚگ۔

دوٕرِیوٗمُت ۔ا۔بگریوٗمُت۔سوٚسرِی لَد۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) نہٕ لگہٕ ہار۔زوٗنگلیوٗمُت۔

دوٗراٹھُن ۔ا۔ہوٗژُن۔بگرُن۔ہوکھُن ہیٚون۔ چھٔنٛتھ پیٚون۔۲۔صِحی حالتَس مَنٛز نہٕ روزُن۔ ۳۔گرَس مَنٛز نِفاق پأدٕ سپدُن۔

دوٗراأدی۔مۆلہٕ سٕر یوٗمُت۔یَتھ سوٚسُر لگِتھ بوٚس آسہِ گومُت۔کُنہِ کامہِ ہُنٛد نہٕ۔

دوٗدُرن ۔ا۔زَرُن۔ہوٗژُن۔سوسرُن۔۲۔بجأژُن۔بجرٕ کُنہٕ مازأژی جہِ بیترِ گلنہٕ۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھی) (ہزلہٕ) تنگ یُن۔دِق گژھُن۔

دوٗدراوُن ۔ا۔(کانٛہہ چیٖز بیترِ) أکی سےٚ جایہِ ٹُھوتھ خراب کرُن۔کیمِن بیترِ اَتھہِ کھیناوٕناوُن۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)سیٚتھہِ تُکی تُکی کأنٛسہِ کرٕنٛوے یوت موٗژراوُن۔کانٛہہ سخ پریشان کرُن۔

دورزَن۔مۆل:دورزَن<س:دُرجَنہٕ]بد۔بدذاتھ۔ دورزَن گی۔بدذأتِل۔

دورگتھ۔م۔مۆل:دورگتہِ]خراب حالتھ۔ذلالتھ۔بُرحال۔ دورگتھ کرٕنی۔بُرحال کرُن۔ذلالتھ کرٕنی۔ دورگتھ گژھنی۔بُرحال گژھُن۔ذلالتھ گژھنی۔

دورلَب۔<س:دُرلَبھ]۔یہِ اَتھَس مَنٛزیُن مُشکِل آسہِ۔ کأم یوٚسہٕ زَن سَہَل آسہِ نہٕ۔کٔڈُر۔

دوٗژھ۔م۔مۆل:دوٗژھ]۔ا۔مادٕرِ لأوِتھ زِ اَتھہِ یَتھ زَن کینٛہہ ٹُلتھ ہیکی زِ۔۲۔تیوٗت یوٗت زَن أکِس دوٗژھ واتہِ۔

دوٗژِھ دوٗژِھ آب سارُن۔(وَرگہٕ) ژُک آسنہٕ کِنہِ۔مُشکِلہِ سان کانٛہہ تژھ کأم اَنٛد واتناوٕنی یتِمہِ خأطرٕ نہٕ کأفی وٕسیلہٕ آسَن۔

دوٗژِھ دوٗژِھ آہی کرٕنی۔یَدٕ بَرِتھ دُعایہِ خأر کرُن۔

دوٗژِھ کِبتھ دوٗژھ۔(وَرگہٕ) سبٹھا۔واریاہ۔أچھ ٹٕلی یُن لایق۔

دوٚس۔م۔مۆل:دوٚس]۔میٚوژ گَن کنِمن یا سیرٕبن بیترِ ہُنٛد بنوومُت دیوار۔

دوٚسَن کھسُن۔ا۔سخ کرٕکھٹنی۔دوٚسہٕ ٹٕلنہٕ۔۲۔لوٗکہٕ پٹھٕ پیٹھی پیٚنی۔

دوٚسہٕ پٹ۔ا۔دوٚس دِنٛج پٹ۔۲۔تیٚژ تھٕز دوٚس یوٚسہٕ اکہٕ پَچہٕ ستی دِنہٕ آسہِ آمٕژ تہٕ دٔپتھ گوگمٕ تھٕز دوٚس۔

دوٚسہِ پیٹھ کوٚم یأج نہٕ پلبس چأنی مأج نہٕ پلبس میأنی مأج۔(پزٕ ژھ) تہٕ دٔپتھ گوزوٗن۔

دوٚسہِ پیٹھی ٹکہٕ ٹکھ۔پٔنٛنی جایہٕ ژھوہ(دیٚن)

دوٚسہٕ ینٛدٕر۔دوٚس دِنک کاٹھ کرٕ۔تَم کرِتھ تہٕ تَرٕم تأرِتھ لَٹرٕ یمن مَنٛز میٚوژ بَل دِنہٕ خأطرٕ پَچہٕ بَنٛد چھےٚ روزان۔دوٚس دِنہٕ باپتھ پَچَن ہُنٛد قألب۔

دوٚسہٕ دارَن۔تَم کرِتھ لَٹرٕ یا ٹٔرن یم ہوٗدِتھ دوٚسہٕ ینٛدٕر بنان چھِ۔دوٚسہٕ ینٛدرکی تَم لَٹرٕ یمن مَنٛز پَچہٕ بَنٛد چھےٚ روزان۔

دوٚسہٕ ژٕنی۔سوٕ ژٕنی یوٚسہٕ دوٚسہٕ مَنٛز آسہِ تہٕ دٔپتھ

گوئیٚ کاج ژٕنی یوسہٕ پیٚتہٕ پھٕسہِ رس بیترٕ گٕہتھ لاگان چھہٕ۔

دوسہٕ ژوک۔ ۱۔ ژہ پاسے دوس۔ ژورَو طرفو دِنہٕ آمُت دوس۔ ۲۔ دوسبس ژور ہٕٹ۔

دوسہٕ وَژھےٚ تہٕ بَرنٕن تارٕ۔ تہِ ڈیٚتھ گولوکٹن چیزٕن احتیاط تہِ بڈٕ ہٕنزٕ نہ خبرٕ۔

دوسہٕ ہوٚٹ۔ تیٚزٕ دوس ییٚژا کہِ پھِرٕ دوسہٕ بٕنٛدرٕ سٕتی دِنہٕ یِیہٕ۔ دوسہٕ پٹن ہنٛدٕ زیٚچھرٕ اکہِ وارِ دِنہٕ آمُت دوس۔

دوس دِنیٚ۔ کُنہِ کھلہٕ جایہٕ اَندٕ اَندٕ دیوار گنٛڈُن۔

دوشَٹ۔ ن۔ مۆل: دوشٹ < س: دُشٹہَ ]۔ بَد ذاتھ۔

دوٗشُن۔ ن۔ مۆل: دوٗش < ؟ س: دوشہَ ]۔ پشپُن۔ کرٕپڈُن۔ پھیرٕ پھیرٕ وٕسُن۔ پیڈُن۔

دوٗشَن وونٛی۔ سہٕ پونٛی یُس کُنہِ کولہِ بیترٕ کرٕیڈتھ سٕنٛزٕرس گٕن لَمہٕ۔ مُوٗو وونٛی۔

دوٗشنٕ لِگنی۔ کُنہِ کولہِ ناوِ نارٕس یا بانٛس بیترٕ رُم یا سٕز وگوٗٹھنہٕ کٕنہِ پونٛی پھیرٕ پھیرٕ وَسان روزُن۔

دوشہٕ وُن۔ پیڈُن۔ پٕشپان روزُن۔

دوشوٗوے۔ < س: دوشہَ + ایوَ ]۔ اکھتہِ تہٕ بیا کھتہِ دوٗوے۔

دوگُر۔ ن۔ مۆل: دوکر < س ؟ دۆ + کرتہ ]۔ (دات بیترٕ کانٛہہ چیز دَبادنہٕ باپتھ لوٗکٹ شیٖشیٚتر ٹوٗکٕر۔ بڈٕ ٹکرِ۔ ڈوگُر۔

دوکرِٕ دَب۔ ۱۔ دوکرٕ ٹیک ٹاس۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) ووتلنہٕ نہٕ دِیُن۔ تالہِ ژٕمل۔ م: تَس چھہٕ پیٚٹھے دوکرِٕ دَب۔

دوکھ۔ دُکھ۔ ن۔ مۆل: دوکھ < س: دُکھ ]۔ ۱۔ غَم۔ اِذاہ۔ دَگ دود۔ افسوٗس۔ ۲۔ مَرنک غَم۔ ماتَم۔ ۳۔ ماتمکٕ دوہ۔

دوکھَس بہُن۔ رَسمہٕ پاٹھی ماتَمس بہُن۔

دوکھہٕ تُلُن۔ ماتمکٕ دوہ سوٗرِتھ (کانٛہہ) ماتم دارٕ منٛزٕ کڈٕتھ نیُن۔ (اکھ رَسم)

دوکھہٕ زَد۔ ۱۔ ماتَم دار۔ یَس مَرگ آسہِ پھوٚرمُت۔ یَس پوٚن آسہِ پیوٚمُت۔ ۲۔ یَس مُصیبَتھ آسہِ پیوٚمُت۔

دوکھہٕ لَد۔ ۱۔ یُس ماتَمس بہِتھ آسہِ۔ ۲۔ سُہ یَس مرٕگ آسہِ پھوٚرمُت۔ ۳۔ تیمس تکلیف آسہِ ووتمُت۔

دوکھ بَرُن۔ ۱۔ سَختی تُلنی۔ مصیبَتھ کڈُن۔ ۲۔ کُنہِ باپتھ زُوژٕھُن۔ گشت تُلُن۔ پانَس پیٚٹھ مصیبَتھ ہیوٚن۔

دوکھ تہٕ چھوکھ پیوٚن۔ مرٕگ پھُرُن تہٕ ناگہانی بلاے ییٚنٕ۔ سَخ مصیبَتھ پیوٚن۔ (ییہٕ چھُ دوہ وتہٕ)۔

دوکھ تُلُن۔ ۱۔ سَختی بَرداش کرٕنی۔ ۲۔ دود لگہٕ وُن۔ دَگ ژالٕنی۔

دوکھ دود۔ بیمٲری وبیمٲری۔ بَلُن ڈلُن۔ مُصیبَتھ۔ ہیوٚر بون۔ م: دوکھ دود چھُ آمُتے۔

دوکھ دیُن۔ تکلیف واتناوُن۔ اِذاہ دیُن۔ سَختی کرٕنی۔

دوکھ ژھٕنُن۔ ۱۔ کانٛسہِ شخصس کانٛہہ ٹوٗٹھ مارُن۔ ۲۔ موٚتُک خبَر انٛنی۔ ۳۔ بَم ژھٕنُن۔ سوٗکھس منٛزٕ سَخ فکر پاونٕی۔

دوکھ کاسُن ۔(کاُنسہِ ہُنْد) تکلیف دوٗر کرُن (کاُنہہ سختی منٛز موکلاوُن۔

دوکھ ہیوٚن ۔کاُنسہِ ہنٛدِ مرنہٕ ماتم دأری کرٕنۍ۔ ماتمک رَسم پالُن۔

دوکھل ۔تیٚمِس تکلیف واتہٕ ۔مرگ زَد۔یَس کانٛہہ موٗ دمُت آسہِ۔(دوہو)۔

دوگ ۔ن۔مؤل: دوگ <س: دَکھ]۔ا۔پھلَس بیترِ کنٛزَس منٛز مُنہٕ باپتھ وولمُت مُہلی تالہٕ ہُنْد دَب۔ ۲۔کُنہِ کتھہِ ترٛ وومُت واکھ۔ ناکارٕ بناونٛچ پیشنگوٗیی۔ م: ژھنُس بمارِ دوگ۔۳۔(وَرگہِ پأٹھۍ)۔ ہنٛس کنہٕ نُس منٛز کُنہِ قسمُک دوکھ یا باوٗک پھیر بیترِ۔

دوگس ژھنُن ۔(اَکِس بٔیِس ستۍ) دلَس لاگُن۔ بٔلۍ بٔیِس ستۍ اُڈرُن یا وُٹھُن۔

دوگہِ تہٕ بارَو دوگہِ ہَتہِ تہٕ بارَو۔ تہٕ ڈپتھ گو۔ اکہِ غلطی باپتھ تہٕ سے سزا تہٕ ہتھ غلطی کرنُس پتھ تہٕ سے سزا۔

دوگہِ بوٚچھ۔اڑ دوٗل۔ سُہ تومُل یُس نہٕ پوٗرٕ پأٹھۍ دوگونہٕ آمُت آسہِ۔ یُس نہٕ وُنہٕ صاف گومُت آسہِ۔

دوگہِ دژ امُت ۔ا۔مُنہٕ آمُت۔۲۔(وَرگہِ پأٹھۍ) ہنٛڈ وومُت۔ تیمی واریاہ سٔنۍ وہ گنۍ ڈچھمتۍ آسن۔

دوگہِ کڈُن ۔ا۔مُنُن (دانہِ بیترِ) دوگوُن۔ ۲۔صاف کرنہٕ باپتھ تومُلس دوگ دِنۍ۔

دوگہِ موٗ زوٗرٕ ۔ا۔دانہِ بیترِ مُنہٕ نک کأم کار۔دانہِ مُننک پیشہِ۔۲۔دانہِ مُنہٕ نٛچ موٗ زوٗرٕ۔مُنہٕ دِنۍ۔ ۳۔(وَرگہِ) کڑٕرتہٕ بٔزمہٕ دَرٕچ کأم۔

دوگہِ وُن ۔تومُلَس بیترِ کنٛزَس منٛز تُو سرٕ دَل دِیُن۔ مُنُن (دانہِ بیترِ)۔۲۔(وَرگہِ پأٹھۍ) چوب دِنۍ۔ ماردی دی اڑ مور کرُن۔جان پأٹھۍ ژپتھ تھوُن۔ اڑ مور کرُن۔

دوگ دِیُن ۔ا۔مُنُن (پھَل بیترِ)۔مُہلہٕ ستۍ کنٛزَس بیترِ منٛز ژپُن۔(وَرگہِ پأٹھۍ) کتھہِ بیترِ بٔلۍ دَل دِیُن۔فضوٗلَس پتھ کُنہِ کتھہِ پھیرٕ تہٕ پھیرٕ دِیُن۔

دوگ ژھنُن ۔ا۔(وَرگہِ) واکھ ژھنُن۔بناوتُس آلو دِیُن۔۲۔کُنہِ کُن وژسہٕ دِیُن۔۳۔حیلہٕ کرُن۔ م: نہ ہبکنُس دوگ ژھنُن۔

دوگ وَسُن ۔ا۔گاٹہٕ پیوٚن، نوقصان واتُن (کارٕ بارس بیترِ منٛز)۔۲۔فضوٗل خرچ کرُن پیوٚن۔

دوگ والُن ۔ہنٛس کنہٕ نُس منٛز بأرٕ تارٕنۍ۔ خسارٕ تُلنُس پتھ مجبوٗر کرُن۔

دوگہِ رینٛز ۔اَکھ لوکٹ جاناوار یُس توتھ زِ ہتھ پھٕٹے آسان۔

دوگُل ۔ن۔مؤل: دوگُل <س: دَکھ+ گولہ]۔کُنہِ اُڈرٕ متہِ چیزُک تیار کوٚرمُت گولہٕ۔

دوگُل بَتہٕ ۔دٔسۍ بَتہٕ۔سیٚسۍ بَتہٕ یتھ مێچھہِ وٹنہٕ ین۔

دوٕگج ۔"دوگُل" لفظُک ماد۔ا۔زأوٕ لہِ کُنہِ اُڈرٕ متہِ چیزٕ چ میٹ۔لوکٹ دوگُل۔۲۔ژھوٹ تہٕ

وٕنُھ کوٗر بیترِ۔

دوگنہٕ۔ دوٗگُن گرِتھ۔ دوگناوِتھ۔ دویہِ حصہٕ۔ اَکھ اصل تہٕ بێیہٕ تیوٗت۔

دوگناوُن۔ ۱۔ صاف کرنہٕ باپتھ تہٕ ملٕس اِنگٕس بیترِ گنڑٕس منٛز دَل دِیُن۔ مُٹُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) چوب دِنٛی۔ ماردیٛن۔ ہَن ہَن دَگنی۔

دولابہٕ۔ ہ۔ ڈُلاوا]۔ (وَرگہٕ) کھر۔ مُشکل۔

دون۔ اَکٕس تہٕ بێیِس پکوٕنہٕ۔ جوٗر۔

دون باُڑن ہُنٛد گرٛوٗد گوو َہراُ ژھنٛد روٗد۔ تہِ ڈوٗتھ گو دون باُڑن ہنٛز ہر حھنہٕ ژٔرِس کالٕس روزان ہتھہٕ پاُٹھی وَہراُ ژکیٖت وٕنی روٗد تہٕ وٕنی تاپھ چھُ گران۔

دون تہٕ ترٛن گوٗھن۔ کیٛنہٕ کرنٕس نہٕ وَتھ ہنی۔ ہگ نہٕ ہگ گوٗھن۔ راوُن زِکیا گرِ۔ پریشان گوٗھن۔

دون صلاح تہٕ ترٛن واوَیلا۔ ترٛیمہ ہندِ منٛز زنگ ژھنہٕ ہتی چھُ فسادٕ دوتھان، اَفسوٗسے لاران۔

دون کھراُون پٔتھ لٔتھ۔ ۱۔ تہِ ڈوٗتھ گواور تہِ تہِ یورتہِ۔ اَکٕس ڈنٛجہ پٔتھ نہٕ۔ ۲۔ دشوٗے مُتضاد چیز پنٛنہٕ موجہِ منٛز تھوٕنی۔ مُنافق اِنسانٕس کُن وَنان۔

دون گاڈن چھنہٕ ژھُھ یوان۔ تہِ ڈوٗتھ گوزا کہِ وَقتہٕ چھےٚ صِرف اَکے کأم ٹھیکھ پاُٹھی کرنہٕ یوان۔

دونوٗے۔ حیٛز اکرت: دونیہ]۔ دشوٗے۔ اَکھ تہِ تہٕ بیا کھ تہٕ۔ اَکھ تہِ تہٕ بیا کھ تہِ پکوٕنہٕ دشوٗے۔ دوہوٗ منٛز

نہٕ اکوے۔

دونہٕ وٕنی۔ دشوٗنی۔ اَکٕس تہٕ تہٕ بێیِس تہٕ۔

دوہ۔ ن۔ موٗل: دوہ<س: دِوَس]۔ ۱۔ صُبحہٕ پٔٹھہ شام تام۔ گاشُک وَق۔ کارٕ بارُک وَق۔ ۲۔ اکہِ صُبحہٕ پٔٹھہ بێیِس صُبحس تام۔ اُٹھوٗے پہَر۔ ۳۔ وَق۔ ۴۔ سُہ وَق یتھ دوران دَسگاہ یا اِقتدار آسہٕ۔ طالع۔ بخت۔ م: تٔس چھِ دوہ پھیرِی ہتی ۵۔ موٗزوٗرٕس یا کاٗرِگرٕ سٕنزٕ کامہٕ ہُنٛد وَق۔ ہیتیٕس کالٕس موٗزوٗر یا چھان بیترِ کأم کرِ۔ م: دوستہٕ ہندی کھٕتی ژور دوہ۔ ۶۔ واُنٕس۔ م: ہٕنٛز دوہ کڈِن۔ ۷۔ زمانہٕ۔ سمےٚ: ییم دوہ ہن نہٕ بێیہٕ۔

دوٗہی۔ دوہ گوٗھتھ۔ سٕٹھا کال گٔذأرِتھ۔ یٔژکالی۔ ژیٖرِی۔

دوٗہی دوٗہس۔ ساُری سے دوٗہس۔ صُبحہٕ پٔٹھہ شام تام۔

دوہَن منٛز۔ کمیٚسے کالٕس منٛز۔ یتھ نہٕ ژوٗروَق لگہِ۔

دوہے۔ ۱۔ پرتھ دوہہٕ۔ ۲۔ پرتھ وِزِ۔ ہر وَقتہٕ۔

دوہا۔ ۱۔ کانٛہہ اَکھ دوہ۔ ۲۔ کانٛہہ تیٚتھ وَقا۔ تیُتھ تہٕ وَقا۔

دوہہٕ۔ کانٛہہ دوہ پھُٹہٕ راونہٕ وَراُے۔

دوہہٕ اکہِ۔ تیٚلی۔ واریاہ کال بٕرٛوٗنٛہہ۔ کالی۔ تمہٕ گوواراوَق۔

دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ۔ ۱۔ پوٚتٕس پتھ پرتھ دوہہٕ۔ ۲۔ دوہ دوہ گوٗھتھ۔ وَق گنذرنٕس ستی ستی۔ یوٗت یوٗت وَق نیران گو۔

دوہہٕ تأر۔ (کیٛنژوٕنی) دوہَن ہُنٛد ژیر۔

دوہہِ کاڈَے۔ا۔کُنہِ چیزَس پٹھ دوہ راؤن۔
۲۔کُنہِ کَنْ دوہ موکلاؤن۔۳۔ژیر لاکُنہِ موکھ
ہٹہِ ہٹہِ دوہ گُسأیی گرِنی۔۴۔کانہہ ماملہِ
زٕٹھراؤن۔اَزیگاہ کرُن۔

دوہ برُن۔ا۔(وَرگہ)دوہ پۆرِ کرُن۔دوٚہَس کامہِ کارَس
ستیٚ آوٚرروزُن۔وأنُس کڈُنی۔۲۔(دوٚہَس)روزدر
روزُن۔

دوہ پھیرِنی۔رُت زَمانہٕ یُن۔حالتھ ٹھیکھ گژھنی۔
جان دوہ یِنیٚ۔

دوہ ٹھکُن۔دِیچ موٚزٕرٕ نکھَس کھارِنی۔دوہ مَٹہِ
کھارُن۔چیٚٹہِ پأٹھی دوہ دیُن۔بیگارِ پأٹھی دوہ
نکھہِ والُن۔مِ:دوستَس دوہ ٹھکُن۔

دوہ چھِ دِیا وان ژھوٚہ۔رِتی دوہ چھِ اِنسانَس پژتھ
رنگہٕ اَتھ وتھ اَنان۔

دوہ دِرلگُن۔آفتاب لوستَس واتُن (وَرگہِ پأٹھی)
وأنُس سورُنس پٹھ واتُن۔

دوہدِش۔(لازِم پأٹھی)پژتھ دوہہٕ۔

دوہ دوہ کڈُن، دوہا دوہا کڈُن۔ا۔یِتھے تِتھے دوہ
گژراوِنی۔سیٚنہِ کیٚنہِ گژرِ کرُن۔۲۔(بِمارِ
سُنْد)گشالہِ سان اَکھ اَکھ دوہ گژارُن۔

دوہ دبن۔زَمانہٕ۔وِق۔وأنُس۔

دوہ راتھ۔ا۔دوہ، کھو راتھ۔ژۆژٕہہ وَے گانٹہٕ۔
۲۔سورُے وَق۔

دوہ راوِ رُن (راوِ راؤن)۔ا۔وَق ضایہٕ کرُن۔
۲۔دوٚہَس جکھتھ نہٕ کیٚنہٕ حاصِل یُن۔۳۔زأنتھ
مأنتھ نہٕ کامہِ کارَس تن دِنی۔

دوہ راؤن۔ا۔کُنہِ مَقصَدِ یا مُرادِ وَرأے دوہ ڈُلہِ
گژھُن۔وَق ضایہٕ گژھُن۔۲۔تیژٕھ یا زۆنہِ
ہِنْدِ حِسابہٕ کانہہ دوہ مُجراہ نہٕ یُن۔مِ:بیٚمِہ پچھہ
چھےٚ ژورَم راوان۔

دوہ کڈُن۔ا۔وَق گژارُن۔دوہہٕ پۆرِ کرُن۔۲۔لُکی لُکی
گژرِ کرُن۔۳۔بِمارِ سُنْد بچُن بزانتھ سۆرِتھ تہٕ
زِنْدروزُن۔

دوہ گُشی گرِنی۔وِچھو"دوہ دوہ کڈُن۔"

دوہ کوہَس پٹھ واتُن۔ا۔بِری یہِ لوستَس واتُن۔
۲۔(وَرگہِ پأٹھی)وأنُس ژھوٚتُنْ یِنیٚ۔

دوہ کھسُن۔ا۔وأنسہِ مَنزٕ اکہِ دوہُک ہُر بر گژھن۔
۲۔موٚزٕرِ ہنزٕ دِیچ موٚزٕرٕ مَٹہِ کھسنیٚ۔۳۔کام
کار کرنے کانُسہِ ہنز موٚزٕرٕ ناوَس کھسنیٚ۔

دوہ کھارُن۔چیٚٹہِ پأٹھی دوہ موکلاؤن۔دِیچ موٚزٕرٕ
مَٹہِ کھارِنی۔

دوہ گنڈِنی۔ا۔وأرٕ گنڈِنی۔۲۔کھنْدِ ریتہٕ خأطرٕ دوہ مقرر
کرُن۔۳۔(وَرگہ)کُنہِ اَستانَس ریتہِ پٹھ خاص
دوہہٕ یاوارِ حاجتھ منگنہِ باپتھ گوٚھان روزُن۔

دوہ گوَتہِ کوہ گو۔یوسہٕ کأم موٚقَس پٹھ کرِ زِنہٕ سو چھےٚ
سبٹھا کرِتھ بنان۔

دوہلہِ ۔ا۔ دُہکہِ وَقتہٕ ۔ گاشلہِ ۔۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی)۔
ننہِ وانہِ ۔ ٹاکارٕ۔
دوہلی ۔ا۔ دوہَس منٛز۔ دُہکہِ وَقتے۔ دُہلی گاشہِ نِے۔
۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) ننہِ وانہِ ۔ ٹاکارٕ۔
دوہ لوٗستھ دانہِ تاپَس ۔ تہِ دُپتھ گو وَق ڈٕلتھ
کانٛہہ کام کَرٕنۍ ہیٛنٛز۔ کُنہِ کامہِ تَمہِ وَقتہٕ دَس ٹٕلُن
یٛمہِ وَقتہٕ سو کام کَرنک موقہٕ آسہِ سور یوٗمُت۔
دوہ لوٗسُن ۔ا۔ اَفتابہٕ لوٗسُن ۔ شام گژھُن۔
۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) وأنسہِ واتُن۔
دوہ ہیٛنٛز ۔ا۔ کھاندرُک دوہ مُقرّر کَرُن ۔۲۔ ماتم
دأری ہِندی دوہ گُذارٕنۍ ۔۳۔ پنٛنۍ زٕدٕ کڈٕنۍ۔
مُ۔ ہیٛوتے دوہادِتے نہِ کیہٕنہ۔
دوہ ترٛنۍ ۔ا۔ رٕتی دوہ پھیرٕنۍ ۔ نصیبہٕ پھیرُن۔
۲۔ کانٛہہ کَتھ پوٗرٕ گژھنک ویلہِ واتُن۔
دوہ یور واتُن ۔ دُہَر سپدُن یا دِگر ڈٕلُن ۔ ژٕر گژھُن۔
دوے ۔ م ۔ مؤل: دوے <: دِوٕتیپا ]۔ گٕژہ پٕھک یا
زٕدٕنہٕ پٕھک دوٗیِم دوہ۔
دوِیوٗ اَتھو چھےٚ ژٕ روزان ۔ اُکی سٕے ڈٕرِس چھنہٕ
قوژھوٗرٕ آسان ۔ بنأیے دوٕ تھٕنس چھِ دوشوٗے ڈٕری
ذِمہٕ دار آسان ۔ مُ: اکہِ اتھہٕ چھنہٕ ژٕ روزان۔
دوِیوٗ چھِ مور مُت یسہِ ۔ تہِ دُپتھ گوٗ زِ دون زٕنٛن
اگر کُنی کَتھ آسہِ تَم ہکَن بٕڑ کھوتہِ بوٗڈ کار کَرِتھ۔
دوِیہِ تأجی ۔ [<س: دوٗ اچھوار مشت ]۔ ژٕتجہٕ تہٕ زٕ۔

دوِیہِ پیٚٹھی ژٕتجہٕ ۔ ژورٕ دٕہی تہٕ زٕ۔
دوِیہِ ترٕ ہہ ۔ <س: دوٗ اترٕ مشت ]۔ دوِیہِ پیٚٹھی ترٕہ۔
ترٕ ے دٕہی تہٕ زٕ۔
دوِیہِ شیٹھ ۔ <س: دَوا+آشیتہٕ ]۔ دوِیہِ پیٚٹھی شیٹھ۔
آٹھ دٕہی تہٕ زٕ۔
دوِیُت ۔ ن ۔ مؤل: دویت <س: دوٗیتہ ]۔ا۔ دوٗ گنیار۔
زٕ بوزٕنۍ کُن اُستھ زٕ گنٕز راوٕنۍ ۔۲۔ سُہ فلسفہٕ یُس
زٕ اصل مانان آسہِ ۔ وحدأنیتھ آسہِ نہٕ مانان۔
دوِیتہٕ واد ۔ وٕچھو ''دوِیُت معنی ۲۔''
دوِیُن ۔ ن ۔ مؤل: دوِیُن <س: دوہنہ ]۔ا۔ گاو بیترٕ
چاوٕنۍ ۔۲۔ چاردِتھ کڈُن (کانٛہہ ترٕل مادٕ)۔
۳۔ نبر کڈُن (خوٗن دٕرکہِ بیترٕ)۔۴۔ صفأیی
کَرٕنۍ (کٕٹھہٕ سندہٕ اندرٕمَن)۔۵۔ تٕرٕشہ کڈٕنہِ
(وُژھی سنٛز گأو)۔
دیوٗنۍ ۔ م ۔ مؤل: دیوٗنۍ <ف: دیو ]۔ا۔ دیوہش زنانہٕ ۔ سوٗ زنانہٕ
یُس پٕزنہٕ پیٚٹھی ہیکتھ آسہِ ۔۳۔ دیوٕ سنٛز مادٕ۔
دیٚہہ ۔ ن ۔ دیٚہہ <ف: دیہہ ]۔ گام ۔ بٕستی۔
دیش ۔ ن ۔ مؤل: دیش <س: دیشہ ]۔ مُلک ۔ وطن۔
دیکھ لایہ ۔ م ۔ مؤل: دیکھ لاے <س: دِک+کالادِ ]۔
ا۔ پرانہِ سَمیہِ کُنہِ جایہِ کیٛنہ اکھ گأمتیک یا کَری
متیک اِشارٕ ۔۲۔ ڈُرکہِ ۔ ٹٕخ ۔ ہس ۔ لٕڑایہِ باتھ
ٹٕلُن ۔ ہرٕ زٕ پأٹھی دٕنۍ ہوٗ ترٕشہ کانٛہہ کَتھ یٛمہِ ستی
ژٕروٕتھ ۔ پامہٕ۔

دیکھلایہِ دِنہٕ۔ کانٛسہِ پٔتِھم اَتھٕر بیترِ یادپاوُن (ہرٕ زِپاٗٹھی) وٗلتھ مُلتھ گتھ پلناوِنی۔

دیگ۔م۔مؤل: دیک >ف: دیگ]۔ا۔لیوٚل۔ سہٕ بوٚڈ بانہٕ یُس رَنہٕ نَس تہٕ پاکوٚنس لگہِ۔ مِ: جان باب صاٗنۍ دیگ۔

دیگہِ لدُن لایق۔ (وَرگہٕ) رٕ ذیلہٕ۔ بَد ذاتھ۔

دیگ دان۔ رَنہٕ نک پوٚنک اِنتظام۔ (وَرگہٕ پاٗٹھی) دُنی یاداٗری۔

دین۔>س: دام۔ہ: دین]۔ یہٕ دیُن آسہِ۔ دارُت۔ قرض دین دار۔ا۔ یَس ہوُرن یا نکھہٕ والُن مَتہٕ آسہِ۔ ۲۔ مَتہٕ دار۔ ضاٗمن۔

دیوٚل۔ اکہِ قسمک ٹونگر یُس کٔنجہِ ذٔمین کھٔنہٕ نَس چھُ لگان۔

دیوار دیو۔>س: دِوا+ دِوا] (زٕوٚنہٕ ہنٛز گنٛز رِنی کٔنی)۔ زِتیژ ہِ اَکی دوہہٕ یِنہٕ۔ مِ: از چھےٚ دیوادیو دوے دیوا تٕرے۔

دیوار۔ن۔مؤل: دیوار >ف: دیوار] گٔنٛن یا سیرٕ ہن بیترِ ہنٛز دوٚس۔ روٗٹ۔ بنٛدِش۔

دیوار بنٛدی۔ اَنٛدی اَنٛدی دوٚس دِنی یا دیوار گنٛڈُن۔

دیوار دیٔن۔ا۔ دیوار کھاژن۔ دوٚس گنٛڈنی۔

دیوار گنٛڈُن۔ وٕچھو "دیوار دیٔن"۔

دیوار گیر۔ چُمنہِ دار گاشہٕ بتۍ یوسہٕ دیوارس لاگنی یِوان چھےٚ۔

دیوا گتھ۔>س: دَیَو+ آگتہ]۔ قو درتک گرُن۔ دَیہٕ سٔندی رَنٛگ۔

دیوان۔ن۔مؤل: دیوان >ف: دیوان]۔ا۔ بوٚڈ وزیر۔ ۲۔ کانٛسہِ شاعرٕ سنٛز بٲتہٕ سوٚمبرٕن۔

دیوانہٕ۔>ف: دیوانہ]۔ مؤنث۔ پاگل۔ یُس حواسَن منٛز آسہٕ نہٕ۔

دیوانہٕ بٔنُن۔ کانٛسہِ پَتھ پھلواٗے سَپدُن۔ کانٛسہِ ہنٛزِ کِنہِ حواس راوِنی۔ فریفتہٕ گژھُن۔

دیوانہٕ گژھُن۔ا۔ مؤت گژھُن۔ حواس راوِنی۔ مَوٗرٕ ین۔ پاگل گژھُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٗٹھی) کانٛسہِ پَتھ پھلواٗے گژھن۔ کِنہِ یا کانٛسہِ پَتھ دِل لگُن۔ فریفتہٕ گژھُن۔

دیوانگی۔ مَوٗر۔ پاگل پَن۔ بَد حواسی۔

دیوانہٕ لاگُن۔ اَکھت ماٗکھت مؤت لاگُن۔ بِگو پاگل لاگُن۔ کِنہِ غرضہٕ باپَتھ سانگ لاگُن۔

دیوان خانہٕ۔ن۔مؤل: دیوان خان]۔ اُمیرَن ہنٛز بیٹھکھ۔ یُہُن کٔیت عکاجِدٕ شیرتھ سجاوتھ گژھ۔ ڈرائینگ روٗم۔

دیوٲلِۍ۔>ہ: دِوالیا]۔ا۔ییمی دیوول کوٚڈ مُت آسہِ۔ ۲۔ سہٕ شخص یُس خَرچ بَرچ کرِنس منٛز پَتھ بڑ وٕنٛتھ آسہٕ نہٕ وٕچھان۔ پھناٗرک۔

دیوٲلِۍ داس۔ا۔ییمی دیوول کوٚڈمُت آسہِ ۲، پَزنہٕ پٔتھی خَرچ کَرن وول۔ یُس روپیہٕ ہنٛز جایہِ

پاٹھو روپیہ گالہٕ۔

دیوٲلۍ زَد۔ دیوٲلۍ۔

دیوٲلۍ زَد گژھُن۔ (ؤرگہٕ) کانٛہہ صوٗرتھ نہٕ روزٕنۍ۔ بےٚ پرٛتیتھ گوٚژھُن۔

دیوٲنی۔ [ف: دیوانی]۔ سُہ مُقدمہٕ یمیُک تولُق ہنٛبس ذِٕس یا ہوٗقوقن سٟتۍ آسہٕ۔

دبد۔ م۔ مؤل: دبد۔ مُ۔ ہ۔ دپدی]۔ ۱۔ اگرٕچ زِٕتھ زنانہٕ (ماجٕ، نانی بیتر)۔ ۲۔ (ؤرگہٕ پاٹھی)۔ کانٛہہ زِٕتھ زنانہٕ۔ سیہ چھُ یژتہٕ پژھی وَننہٕ یِوان۔ ۳۔ یژتہٕ پژھی کانٛسہٕ زنانہٕ ہنٛدِس ناوس سٟتۍ پوٗت لوٗگ پاٹھی وَرتاوُنہٕ یِوان۔ م: زوٗن دبد۔

دیدِ چھِ باژویدی۔ یتہٕ ذِٕہتھ گو یمن سٟتۍ وارِیاہس کالس کام کرِ زِٕتھند سورٕے کینٛہہ چھُ تٔس مولوٗم آسان۔

دبد یتہٕ گیہٕ بجایہٕ واٲلۍ دٕے۔ یتہٕ ذِٕہتھ گو زِٕیتھ چیزٕس یُس صِفتھ چھُ سُہ راونہٕ تتھ ناو بدلاونہٕ سٟتۍ۔ سیہ چھِ تیلہٕ وَنان ییلہٕ اکھ یتہٕ تِتھے آسہٕ یُتھ بیاکھ آسہٕ۔

دبد لاگنۍ۔ ۱۔ ماجہِ تون کرُن۔ ماجہِ ہنٛدی پاٹھی رٕژھُن۔ ۲۔ (ہزلہٕ) زِٕچھر ہاوُن۔

دبد ماجٕ۔ اکھ بُڑ زنانہٕ یمیٚ سُند اَستان ژزار کھسہٕ ڈُن زالِہ چھُ۔

دبد وَنۍ۔ بجہٕ ہنٛدی پاٹھی زیٚچھِ کتھ کرنہٕ (ؤرگہٕ پاٹھی) بگواس کرُن۔ اوٚرک یوٗر وَنُن۔

دبدٕر۔ جلہٕ ہنٛز ماد۔ ۱۔ کھموٗدٕر ہُلۍ کرن وول جاناوار۔

دِبق۔ ن۔ مؤل: دِبق < ع: دِق]۔ کاژھ۔ سِلہٕ۔ ٹی بی۔

دِبق تُلُن۔ ۱۔ کاژھ کرُن۔ ۲۔ گیٛر تُلُن۔ جیٛر اَنُن۔ سیٛد شیٛہلہٕ نہٕ بیہنہٕ دِیُن۔

دِبق کرُن۔ وِچھِو "دِبق تُلُن"۔

دِبق گژھُن۔ ۱۔ کاژھ گژھُن۔ ۲۔ بُسپٕر یُن۔ وُبوٗ دُرو تھُن۔ جیٛر وتھُن۔ پریشان گژھُن۔

دِبق وتھُن۔ ۱۔ کاژھ نوٗن۔ ۲۔ تنٛگ یُن۔ تکلیف گژھُن۔ بدٕ ادیُن۔ جیٛر وتھُن۔ وُبوٗ دُرو تھُن۔

دبکھپال۔ ن۔ مؤل: دبکھپال < س: دِک پالہٕ]۔ طرفن ہُنٛد راچھدٕر۔ دِشاین ہُنٛد راچھدٕر۔

دبکھ کار۔ ن۔ مؤل: دبکھ کار < س: دِھک کار] لانٛتھ۔ پھِر ٹےٚ مُہہ۔

دبگل۔ ن۔ مؤل: دبگل < ف: دیگ]۔ بڑٕ پاہن دیگ۔ لیٚج۔ ڈٔبہٕ دار میٛز ہُنٛد پوٚیمُت اَکھ بانہٕ یُس یِوٚ پاٹھی سیٚنی رٕنٛس لگان چھُ۔ اَتھ چھُ گوٗل کھوٗل یتہٕ ژوٗک وُہرتھ آسان۔

دبِگۍ واٗر۔ لوکٹ بُڑنی لیٚج۔ ٹیکھر۔

دبگل گژھُن۔ (ؤرگہٕ) کُنٛے گوژھُن۔ موٗنٛتھُن گوژھُن۔

دبِل۔ ن۔ مؤل: دبِل < س: دِرٕتہٕ]۔ ۱۔ ژم مُسلہٕ۔ بستہٕ (اِنسلٕہ ہنٛز)۔ ۲۔ سُہ زاٗویٚل تاہ یُس اناجس پتھہٕ

چھُ آسان۔۳۔توٗھ۔ کھٕلنٕی۔ کوٚش۔ زٕلٕیٛن۔۴۔ کُلُن،
کٹنٕن ہنٛد فطری وٕلٕیٛن۔۵۔ چھَل۔ وٕرق تاہ بیترٕ۔
مِ: بُرزٕ دٕل۔ کاکَد دٕل۔۶۔(وَرگہٕ) اوک
تأش (پلوٗ بیترٕ)۔م: پأژھی دٕل۔

دٕل تُلُن۔(وَرگہٕ) دال بیترٕ۔ گرٕٹہٕ کڈٕنی یُتھ (تِتھ)
کوٚش علاحدٕ نیرٕ۔۲۔ چھوٗگس بیترٕ کزورٕ نہٕ وُن۔
۳۔سَخ مار دیُٛن۔ سَخ سَزا دیُٛن۔ مُسلہٕ تُلُن۔
۴۔سختی گرِتھ (حساب بیترٕ) بوٗزِتھ ہیوٚن۔
۵۔زٕڈ کڈٕنی۔ پَنُن مطلَب کڈِتھ نیُٛن۔

دٕل وَسُن۔۱۔کانٛہہ توٗت چیز ژٔمہِ پٹھ پیٛنہٕ سٟتؠ
چٕرٕب نوٗن نیرُن۔ پھُسرٕ پیٛنٕی۔۲۔سَخ عذاب
گژھُن۔

دٕل والُن۔۱۔سَخ عذاب گرُن۔۲۔زٕڈ کڈٕنی۔ بیگأری
پیٛنٕی۔

دِلبُر۔ن۔مؤل: دلبر <س:؟ دِرتہٕ]۔۱۔ گُلیک بوٗڈ دبلہٕ
ٹُکرٕ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔ رٕنیوٗمُت پلوٗ بیترٕ۔
مِ: پأژھی دبلٕرٕ۔۳۔ چھوٗگس بیترٕ وُٹھمُت
کزورٕ۔۴۔ دوٗرٕماز۔(نوٗہ یا ڈمبنٕی بیترٕ)۔

دِماغ۔ن۔مؤل: دِماغ <ع: دماغ۔۱۔ کھاپرٕ مَنٛزٕ سُہ
تان یُس ژٕہتہٕ وۄترٕتہٕ احساس بیترٕ دِوان چھُ تہٕ
یتھ سٟتؠ پچھُن وغأرٕ وابستہٕ چھُ۔ مبنگہٕ۔ کوٗڈ۔
مُغز۔۲۔غوٗر۔ وٕرٕ۔ تنکارٕ سر بسر۔۳۔(وَرگہٕ پأٹھی)۔
بوٗش۔ چالٕکی۔ کمام۔ ۴۔ بود۔ گلٹہٕ۔ عَقل۔

دِماغ پَشپُن۔ نَستہٕ کِنہِ پوٗنی وَسُن۔ نزُل گرُن۔
زُکام گژھُن۔

دِماغدار۔۱۔ گاٹُل۔ عَقل مَنٛد۔ زیٖرک۔۲۔ کمامہ
وول۔ اوبرٕ گوبرٕ بیہن وول۔

دِماغ رَٹُن۔۱۔ چاوٕ سان بہُن۔ تتھٕ پأٹھی بہُن
زَن نہٕ کانٛہہ ٹارِ آسہِ کھسان۔ کمامہٕ سان بہُن۔
کانٛسہِ کُن نہٕ توجُہ دیُٛن۔۲۔ اُچھ تٕرٕ وپرتھ تہٕ
ڈُکہٕ چأرِتھ بہُن۔ دٕز بٕز سان بہُن۔

دِماغ کھَسُن۔ پَنُن پان کیاہتام زأنِتھ دَرکہٕ
رٹُن۔ چالٕکی کھسٕنٕی۔ بوٗش کھَسُن۔

دِماغ کھارُن۔ ہنگہٕ تہٕ منگٕک کمام کھارُن۔ ٹکہٕ
فرۄجہٕ دیُٛن۔ نخرٕج کھارُن۔

دِماغ وَسُن۔(نَسر گژھنہٕ کِنہِ)۔ پھوکھ وَسُن۔
بوٗش کم گژھُن۔ ٹیٖنٹھ بہٕنٕی۔

دِماغ والُن۔ ٹیٖنٹھ والٕنٕی۔ کمام والُن۔ پپری پپری
والٕنٕی۔

دِماغ ہاوُن۔ بَجر ہاوُن۔ اہنکارُک باس دیُٛن۔
یٕتھ ہاوٕنی۔ ژھوکھ ہاوُن۔

دِماغی۔ ‹وُچھو دِماغ]۔ پاگل۔ موٗت۔ دیوانہٕ۔
بادرٕ۔ یُس نہٕ پَنٕنہِ جامَن مَنٛز آسہِ۔

دِماغی گژھُن۔ پاگل گژھُن۔ پانس تام نہٕ روزُن۔
ہوٗشن اَنٛدر نہٕ روزُن۔

دٔن۔ن۔مؤل: دٔن <س: دِنہ]۔ وُچھو "دوہ"۔

دبن بَرٕنۍ ۔ وٲنس کَڈٕنۍ ۔

دبن بَرُن ۔ ۱۔ دوہ گُذارُن ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) کُنہِ پٲٹھۍ وَق گُساوُن ۔ گَشالہٕ سان گُذر کَرُن ۔
۳۔ کُنہِ جایہِ کانٛسہِ سۭتۍ دوہ کَڈُن ۔

دبن کَڈُن ۔ ۱۔ ہتھہِ ہتھہِ دوہ گُذارُن ۔ دوہ بٲوُن ۔
۲۔ پریشانی ہُند دوہ پوٗرٕ کَرُن ۔

دیو ۔ ن ۔ مۆل: دیو <ف: دیو] ۔ ۱۔ جن درٛیٹھاک ۔ اَکھ فرضی زُذٲتھ ۔ ۲۔ کانٛسہِ تیٖلہِ وَنان ییٚلہِ کُنہِ سُند وطیر غارمومولی آسہِ ۔ م ۔ بوٚمہِ دیو ۔ سُہ یَس گرٛگرٕ بۄتھ لۆگمُت آسہِ ۔ ۳۔ دِلیر ۔ ڈٕژھ وار ۔ بجہِ بجہِ کامہِ کَرن وول ۔

دیو پیٚون ۔ کانٛہہ بُڈ بلاے اَگادِ گژھنۍ ۔

دیو درٛیٹھاک ۔ دیو جن ہیٚترٕ بۄتھ پزتھ ۔

دیو ۔ <س: دَیوٚ] ۔ اَما ۔ شاید ۔ ماسَنا ۔

دیو گنٛدن ۔ بےٚ خبر پٲٹھۍ وِچھان وِچھان تبٲہی ۔
۲۔ چھُنہِ تہٕ پھرٕتھ ۔ ہنگہِ ہنگہِ مَرُن ۔

دیو ول ۔ ن ۔ مۆل: دیوال <ہ: دِوالا <؟ س: دیپاوَلی] ۔ کار بارس منٛز تیٚوٚت گلہٕ یُتھ پتہٕ یہٕ چلتھ ہیکہِ نہٕ ۔ کُنہِ کارَس منٛز تیٚتھ خسار یُتھ مۆل تہٕ لۆر کہٕ اَتہٕ ۔

دیو ول کَڈُن ۔ خسار پیٚنہٕ سبب کاربار بۄتھ گوٚھن ۔ تیٚوٚت نوقصان گوٚھن یُتھ زَن مۆل تہٕ خسارَس سۭتۍ گوٚھ ۔

دیٖار ۔ م ۔ مۆل: دیٖار <س: دینار/ف: دینار] ۔ روپیہ ۔ سِکہٕ ۔ موہر ۔ ہار ۔

دیٖارٕ باگے ۔ نَقد پوٚنسہٕ بٲگرٕنۍ ۔ مُشترکہٕ دَولتھ یا جاداد ہیٚترٕ تقسیم کَرُن ۔

دیٖارٕ بوک ۔ تیٚژ روپیہِ ییٚژ زَن اَتھس واتن ۔ وار یاہ ہار ۔

دیار لوگ ۔ نقدی حِصہٕ ۔

دیٖارٕ چھٔلنۍ وونۍ ۔ سُہ پوٚنۍ یتھ منٛز روپیہِ چھلنہٕ آسَن آمٕتۍ ۔ پوٚنۍ چھہِ تَس شخص دزٕ وکھ اَننہٕ خاطرٕ دِوان ییمۍ زہر آسہِ کھیوٚمُت ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) سبٹھا کم ۔ تیٚوٚت نہٕ کینٛہہ یوٚت حِصہٕ چھلہِ ہے ۔
۳۔ کانٛسہِ ہنٛزِ کمایہِ ہُند خارٲتھ ۔

دیٖارٕ دٕہم ۔ پھاگنہٕ گٹہٕ پچھ دٕہم ۔ ییٚمہِ پتہٕ ہیٚرتھ یوان چھےٚ ۔ اَمہِ دوہ چھےٚ نوشہِ کورِ بوگ ہتھ (نقد وجنس) ۔ وٲرِ یوان یا گرٛہان ۔

دیٖارٕ دود ۔ پوٚنسہٕ رٔنگۍ نوقصان گژھنُک دوکھ ۔

دیٖارٕ دوژھ ۔ تیٚژ روپیہِ ییٚژ یکہِ وَٹہٕ دون اَتھَن واتن ۔ وار یاہ روپیہِ ۔

دیٖارٕ ڈنٛڈ ۔ نقد جُرمانہٕ ۔ ہَرجانہٕ ۔

دیٖارٕ سوو ۔ یَس کٲفی دَولتھ آسہِ ۔ روپیو سۭتۍ برٕتھ ۔ دنہٕ وول ۔

دیٖارٕ گرٕونۍ ۔ ۱۔ سوٗشر بتھ یا گرٛکہٕ وِتھ آب یُس تیٚپہ لدٕس ترٛیش ہوٚمراونہٕ باپتھ دِوان چھہِ ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھۍ) ۔ کانٛہہ چیز دزٕ وکہٕ مولہٕ ہنٛبس یتھ پوٚنسہٕ خرچاونۍ ۔

دیٖارٕ کاڑے ۔ وِچھو "دنہٕ کاڑے" ۔

دیٛارِ کو چھ۔ ا۔ اکہِ قسمُک بٹوُیُس گوٗھس تل ٹلنہِ چھُ یِوان۔ ۲۔ (وَرگہِ پأٹھی)۔ روپیہ بٹوٗ۔ تیزٕ روپیہ یمو ستؠ بٹوٗ برِتھ پیہ۔

دیٛارِ مَد۔ پونٛسن ہُند نشہِ۔ آسنک دزٕ دزٕ۔ دَولتھ مَند آسنک رِکبر۔

دیٛارِ مُرید۔ یُس پننہِ غرضہِ دیٛارِ وأٹس پتہِ پتہِ آسہِ پکان۔

دیٛارِ وول۔ یَس دیٛار آسَن۔ دَولتھ مَند۔ پونٛسہِ وول۔

دیٛارٕنٛس داہ ساس۔ ا۔ پڑون ہَتھ روپیہ۔ ۲۔ (وَرگہِ پأٹھی) وَنٛس رِکتؠ داہ ساس تلہِ گنہِ نہٕ کینٛہہ۔

دیٛا رَتھ زامٕتر۔ ن۔ مۆل: دیٛا رَتھ زامٕتر <س: دیوَرَ + جاماتر]۔ دزٕ ےسُند زامٕتر۔

دیٛا رَتھ نوش۔ م۔ مۆل: دیٛا رَتھ نوش <س: دیوَرَ + سنُشا]۔ کٔنٛسِس دزٕ ےہنٛز نوش۔

دیٛارِز۔ م۔ مۆل: دیٛارز <س: دیوَرجا]۔ دزٕ ےہنٛز کوٗر۔

دیٛارٕتھر۔ ن۔ مۆل: دیٛار تھر <س: دیوَرَ + پُتر]۔ دزٕ ےہنٛز نٛچُو۔

دیٛان۔ ن۔ مۆل: دیٛان <س: دھیانہ]۔ ا۔ کُنہِ کُن مَن لاگُن۔ تَوجُہہ۔ ۲۔ تصوُر۔ ۳۔ دیوی دِوتاسُند تصوٗر۔ مُرتھ۔ ۴۔ دیوی دِوتابیترِ ہنٛز صوٗرٕ ژھنٛز وَ کھنٛے۔

دیٛانہِ دارنا۔ دیٛان تہِ دارنا۔

دیٛان تھوٗن۔ خیال تھوٗن۔ گل گرِنی۔ تَوجہ تھوٗن۔

دیٛان دارُن۔ کُنہِ رۆحأنی کتھِ پٹھ گل گنٛراوِنی تہِ

تتھ سَنُن۔ مَراقبس بہُن۔

دیٛان ڈَلُن۔ خیال نہٕ روزُن۔ دزٕ ڈنہِ دَرِنی۔

دیٛان روزُن۔ خیال روزُن۔ گل روزِنی۔ توجہ روزُن۔

دیٛان گرُن۔ گل گرِنی۔ اَکی سےٚ کتھِ کُن مَن تھوٗن۔

دیٛانتھ۔ م۔ مۆل: دیٛانت <ع: دیانۃ]۔ ایمانداری۔ پزر۔

دیٛانتھ دار۔ ایماندار۔ یمِس پٔٹھ شکھ آسہِ نہٕ۔ پزٕ یور۔

دیٛانتھ دأری۔ پزٕس پٔٹھ پکنُک عادتھ۔ نیک نیتی۔ ایماندأری۔

دیٛانتھ نہٕ روزِنی۔ نیتھ منٛز پھیر پیوٗن۔ بےایمان سپدُن۔

دیٛن۔ <س: داکہ]۔ ا۔ پننہِ اَتھہِ پٔٹھ بیٚیِ ہنٛدِس اَتھس منٛز واتناوُن۔ ۲۔ بخشُن۔ ۳۔ نگھ والُن۔ ورُن۔ ۴۔ بنٛد گرُن۔ ۵۔ کینٛہہ ہاوُن۔ کُنہِ کُن توجُہہ پھرُن۔ ۶۔ نالی ترٛاوُن لاگُن (پلو بیترٕ)۔ ۷۔ لگراوُن۔ تیٚتھ کینٛہہ گرُن ییمہِ ستؠ لگہِ۔

مِ: ماردیُن۔ ترُس دیُن۔

دِتھِتھ تہِ نہٕ دَستار۔ تہِ دُپتھ گو بےٚ بوٗج تہِ ناپُرسان۔

دِنہِ گرٛاکھ۔ سواَسأمی یَس نش پأنسہِ نیر۔ سُہ یَس اَتھہِ وۆتھ آسہِ یُس نہٕ کونٛڈ آسہِ۔

دِنہِ ہار۔ دِنٛس لایق (کأنٛسہِ) اَچھ تلِہ یُن لایق۔

دِدان کٔٹس نۆن زَن۔ نوان کٔٹس مۆن زَن۔

تہِ دُپتھ گو زِ کٔتس ییٚلہِ سہزَ آسہِ تیٚلہِ چھُ نہٕ انسانٛس پتہِ ہے لگان زمال دَولتھ کتہِ آیہِ تتھے

پاٚٹھۍ یِتھ پاٚٹھۍ کٔتِس پتہٕ ہے چھنہٕ لگان زِنۆن
کِتھ پاٚٹھۍ ووت گٔگبہٕ بون۔ ووٚنۍ ہرگاہ قسمت
پھیرِتھ گژھِس سہٕ چھُ تتھے پاٚٹھۍ نبتھٕ نوٚن
گژھان یِتھ کٔنۍ نبتنہٕ کُتھ چھُ گژھان۔

دیُن چھےٚ دلاوری، ہیوٚن چھےٚ جودٔ گاری۔ تہٕ دٕیتھ گو کانٛسہِ قرٛض بیترِ دیُن چھُ سہَل اَماپوٚز ہیتہٕ سہٕ قرٛض وصوٗل کرُن چھُ مُشکِل۔

دیوٚل۔ن۔مۆل: دیل < س: درِتہٕ]۔ا۔کانٛہن ہُنٛد یا بٔنگہٕ بیترِ چیزَن ہُنٛد دیل۔۲۔سہٕ پیٚز یا ژھٔنیہٕ کون یُس پھٔٹجِہ گنڈنُس لگان چھُ۔یہ چھُ نمبلَن کھسان۔۳۔ٹخرٕ گلیٚک دیل یِتھ ٹوٗکرِ بیترِ بنان چھےٚ۔۴۔گلی دٕہلِچ تر۔

دیٚلہِ پُشٹھ۔دیلَن ہنٛز (موٗنۍ ہنٛز) پُشٹھ۔

دیٛور۔آسَن وول۔اُمیر۔دیارٕ وول۔یَس جان پاٚنٛسہٕ آسَن۔

دیوٚن۔ن۔مۆل: دیان > دیدک۔س: دیہی+کنٹھ]۔ ا۔لبہِ ہُنٛد یا دیوارٕک کُن۔۲۔لبہِ ہنٛد یا یوارٕک کھجر۔

دیوٚن کھارُن۔دوسہِ ہُنٛد کُن شیرُن۔سو جاے یا تمہِ کنہِ بیترِ حسابہٕ حِسابہٕ لاگنہِ یمَن پیٹھ دوس دِنۍ یا دیوار کھارُن آسہٕ۔

## ڈ

کاشرِ یُک شُراُہیم تہٕ اُردوٗ ہُک ہُیم اَکھر۔اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ ژور مول۔

ڈٔب۱۔م۔مۆل: ڈَب]۔ہیٚری مس گنہِ پورس لبہِ نبر کُن کوٚڈمُت کُٹھ ہیُو۔

ڈٔبہٕ ڈالانہٕ۔ڈبہٕ دار رٔکھ۔سہٕ بوٚڈ ہال یِتھ ڈب کڈِتھ آسہٕ۔

ڈٔبہٕ ڈوٗل۔کُٹھ بیترِ گنڈنہٕ باپتھ بناونہٕ آمژ وُروٗسی یا لکرِ ہُنٛد جنگلہٕ۔

ڈٔب۲۔ستر چہ جایہ ہیوٚر پہَن نچہِ یڈٕ ہُنٛد حِصہٕ۔اَتھ چھِ ڈبکہٕ تہٕ وَنان۔

ڈٔب۳۔(نیٛرِی کٔنۍ) گلہِ بون دیٚگچک سوٚتُر حِصہٕ۔

ڈٔبل۔ن۔مۆل: ڈٔبل > انگ: ڈٔبل۔Double]۔ ا۔ دوگنہٕ۔دوٗگُن۔۲۔(وَرگہٕ پاٚٹھۍ) واریاہ سبٹھا۔بوٚڈ۔پوٚنتہٕ۔

ڈٔبل پاٚنسہٕ۔(پرٛانہٕ) اَکہِ سِکُک۔ناو۔

ڈٔبل روپَے۔پرٛانۍ پوٚنتہٕ روپے۔وٹہٕ روپَے۔

ڈٔبل ژوٗٹ۔ٹھوٗل بیترِ مِلناوِتھ اَتُس بناونہٕ سیرِ شکلہِ ژوٗٹ۔

ڈٔبل مارچ۔ا۔(فوجیَن بیترِ ہنٛز) موچھ وٕٹِتھ دور ترٛاونچ اَکھ خاص چال۔۲۔(وَرگہٕ پاٚٹھۍ) ٹکھ۔بانبر ہوٚت پکُن۔

ڈٔبہٕ۱۔ن۔مۆل: ڈٔب < ؟]۔اَکہ بیمارِ ہُنٛد ناو یِتھ منٛز سیٚنس بیترِ پھٔہُر ہی نیران چھِ۔

ڈٔبہٕ۲۔ن۔مۆل: ڈٔب < م۔ہ۔ڈٔبا]۔چیز بیترِ تھونہٕ باپتھ بناونہٕ آمُت ٹٔنٛبُو۔ہِچُو۔گتُو یا بیٚہ کٔنیک لوٗکُٹ

ٹھانہٕ دار گول یا ژُکوٗنل بیترِ بانہٕ ہیُو۔ م:بوٗٹہٕ ڈ بہٕ۔صابنہٕ ڈبہٕ۔دودٕ ڈبہٕ۔

ڈبہٕ مَہا۔< ک:ڈبہٕ+س:ماشہ]۔دالہِ ہُنٛد اَکھ قسم۔

ڈبہٕ ہور۔ن۔مؤل:ڈبہٕ ہار <ڈبہٕ +س:شار]۔یَتھ ٹیٛچہٕ یا داغ آسن۔ٹیٛچہٕ ہور۔

ڈَبُرا۔ن۔مؤل:ڈَبر]۔لوکچہ لوکچہ پَسیلہٕ کھنجہٕ یا ٹرُن یمَن ہنٛز ہوکچہٕ بَرن دِوان چھہٕ۔

ڈبر بین۔پَسیلہٕ کھنٛجن یا ٹرُنن ہنٛز بناوٕنہٕ پَچہٕ بَرن۔

ڈَبرکون۔لوٕکٹ پَسیلہٕ کھنٛڈ یا ٹرُن۔

ڈَبُر۲/ڈَبرٕ۔ن۔مؤل:ڈبَر<س:ڈِب۔دِھمھ]۔۱۔اَکہِ قسمٕچ چۄکر یوسہٕ یُتھ پاٹھی اوٚک پور مَکانس پَتھس پیٹھ بناونہٕ یِیہِ۔۲۔تُجرس پیٹھ پکَن ہُنٛد بنو ومُت گُٹھ۔

ڈَب ڈَب وو ڈِرَب۔یِہ چھِ تَمہِ وِزِ وَنان ییٚلہِ کانٛسہِ نِش کانٛہہ بُڈٕ شے آسہِ اَمالارِنہٕ کیٚنہہ۔تہٕ ڈپتھ گو:شور سبٹھاہ تہٕ ہیٚوم دِین گژھے۔

ڈپھر۔ن۔مؤل:ڈپھر<ع:دفر۔م:دفر قلیۃ]۔۱۔ہوٗژن۔ہوٗژن پھکھ۔۲۔گلہٕ ہیر مازس تہٕ ڈَمَن منز بنومُت اَکھ سیٚن۔

ڈپھر کلی۔<ع:دفر قلیۃ]۔۱۔سُہ سیٚن یَتھ جاہ رَس آسہِ گومُت بےٚ مزٕسیٚن۔۲۔گلہٕ ہیر مازس تہٕ ڈمَن منز بنو ومُت رَس دار سیٚن۔

ڈَڈٕا۔ن۔مؤل:ڈَڈ]۔روڈٕ کھوتہٕ بۆڈ گَنہٕ پھوٚل۔

ڈَڈٕ۲۔م/ن۔مؤل:ڈَڈ<انگ:ڈَڈ(Dud)۔زَڈٕ موٚنٹھ یَس نہٕ سَہل سَہل کَہنہٕ فکر ترِ۔نَڈ۔

ڈرَ۔ن۔مؤل:ڈر<پراکرت:ڈرو۔س:دَر]۔۱۔خوف تراس۔کھوٗژُن۔بَیہٕ۔۲۔ہراسہٕ۔فکرٕ۔اندیشہ۔وایہٕ۔

ڈرپوک۔کھوژبُڈ۔بُزدِل۔

ڈَرپیوٚن۔تراس کھیٚون۔خوف اَژُن۔بیم اَژُن۔

ڈَرُن۔ن۔مؤل:ڈَر<پراکرت:ڈَرو۔س:دَر]۔کھوژُن۔کانٛسہِ ہنٛدِس ہِمَس تَل روزُن۔اندیشہ آسُن۔ہراسہٕ گرُن۔

ڈرا،ڈران(روزُن)۔ن۔مؤل:ڈرا/ڈران<انگ:ڈران Darwn]۔ہارنہٕ زیٚنہٕ وَراَے کھیل اَنٛد واتُن۔

ڈراما۔ن۔مؤل:ڈراما<انگ:ڈراما Drammal]۔ناٹک۔پاٹھر۔

ڈرایِنگ۔ن۔مؤل:ڈرایِنگ <انگ: ڈرایِنگ Drawing]۔کاکدس بیترِ پیٹھ بناوٕنہٕ شکل یا نقشہٕ بیترِ تمٕیک عَلم۔

ڈرایِنگ روٗم۔ن۔مؤل:ڈرایِنگ روٗم <انگ: ڈرایِنگ روٗم]۔دیوان خانہٕ۔بیٹھک۔

ڈرائیوَر/ڈیوَر۔ن۔مؤل:ڈرائیوَر<انگ:ڈرائیوَر Driver]گاڑی۔موٹر بیترِ چلاوَن وول۔

ڈرِل۱۔م۔مؤل:ڈرِل<انگ:ڈرِل Drill]۔قوائِد یم

مَدرَس لَڑکہِ بیترِ گران چھہٕ۔(اَکہِ قسمچ)
وَرزِش۔

ڈڑل۲۔م۔مؤل:ڈِرل >انگ:ڈِرل Drill] بَرمہٕ شیشہٕ تِرس یا پچہٕ بیترِ گوٚ دکرنک اَکھ آلہٕ۔

ڈَز۔ن۔مؤل:ڈَز > آوازِ پٹھ]۱۔گولہِ بیترِ ہنٛز آواز۔
۲۔(وَرگہٕ پاٹھی) ٹکر۔اکھی ڈنٹ۔۳۔ضَرر نوقصان۔دَوار۔

ڈَز واتُن۔ضَرر واتُن۔نوقصان واتُن حادِثہٕ۔دَوار واتُن۔

ڈف۔ن۔مؤل:ڈَف >:دَف]۔ساز وایننک اَکھ سامانہٕ۔دَف۔

ڈِکر۔م۔مؤل:ڈکر>م۔ہ۔ڈگری]۔بالکہ وَتھ یوسہٕ زیادٕ وسونی آسہٕ۔

ڈَکن/ڈکاوُن۔ن۔مؤل:ڈک >؟ آوازِ پٹھ]۔ گرٛ وٹھ گرٛ وٹھ گران چھوٚن۔

ڈکنہٕ۔ن۔مؤل:ڈکن>س:ڈھکہٕ]۔(پتُلہٕ بیترِ ٹیک) ٹھانہٕ۔

ڈکھ۱۔ن۔مؤل:ڈکھ>؟ ڈچھو۔ڈچھ]۱۔تِتھ یہِ کُنہِ چیزس ڈرراونہٕ باپتھ تلہٕ تھَونہٕ یِیہٕ۔یتھ نہٕ سہٕ چیز ڈلہٕ یا ڈٔسی پییہٕ۔کنی یا سیر بیترِ یوسہٕ بانَن ڈکھس بیترِ تھَونہٕ یوان چھےٚ۔۲۔اَتھ روٹ۔اِمداد۔
۳۔ہتھ۔۴۔دلہٕ کَمن ژارہن کھارنہٕ آمتۍ میوٚہٕ ٹوٗلی ہی یِمَن پٹھ بلنہٕ روزان چھہٕ۔
۵۔چلاونہٕ وِزِ ناوِ یا ڈوٗنگس بیترِ نَم آیہٕ رَٹُن۔

ڈَکھس آسُن۔پتھس آسُن۔مَدتَس آسُن۔

ڈکھ۔۱۔مَدتَس۔ڈوٚکھس۔ڈُکھس۔۲۔ڈکھ۔کَنی یا ئر بیترِ یوسہٕ کُنہِ چیزس وٚسی پینہٕ نِشہِ بچاونہٕ خاطر تھَونہٕ یِیہٕ۔

ڈکھ تھَوُن۔وٚسی پینہٕ نِشہِ بچاونہٕ خاطر بانس بیترِ کانہہ چیز تلہٕ تھَوُن۔

ڈکھ روزُن۔پتھس روزُن۔مَدتَس روزُن۔ڈکھ کرنس پتھ روزُن۔

ڈکھ آسُن۔(وَرگہٕ) کانٛسہِ ہُنٛد پتھ آسُن۔

ڈکھ دیُن۔ساوُن۔مَدتھ کرُن (کام اَنٛد واتناوُنس منٛز)۔

ڈکھ رَٹُن۔۱۔کانٛسہِ ہُنٛد طرف کرُن۔پکھ رَٹنی۔ پاس کرُن۔۲۔نَم رَٹُن۔ناو یا ڈوٗنگہٕ بیترِ چلاونہٕ وِزِ کھورِ ستۍ نَم آیہٕ رَٹُن۔

ڈکھ کرُن۔طرف کرُن۔پوٚکھ کرُن۔کانٛسہِ ہُنٛد پاس کرُن۔مَدتھ کرُن (کُنہِ کتھہِ) درِ بر کرُن۔

ڈکھ ہیوٚن۔لَرِ پِنٛڈ پِنٛڈ کرنہٕ وِزِ تھم دِنی۔

ڈکھ۲۔ن۔مؤل:ڈکھ>؟ ڈھوک]۔کُنہِ پھیرٕ و بون تام منٛگنٛڈن ہُنٛد مَس۔ہنٛگہٕ پھیرٕ

ڈکھ بینٛی۔کھورِ ستۍ (مَستَس) ڈکھ شیرنی۔

ڈکھ وأر۔لوکٹ ناو یوسہٕ ہوس بوٚتس یا بہرٕ بیترِ سوارِ بتھس تام واتناونہٕ باپتھ ستۍ ستۍ آسان چھےٚ۔

ڈَ گہٕ ۔ن۔مؤل: ڈگ]۔ا۔بَجؠ بانہٕ یتھ کبتھ زبن بیترِ ساران چھِ۔زبن بیترِ سارنچ بجؠ تگأرؠ ۔
۲۔چھکرُک سنہ حصہٕ یتھ منز گنہ بیترِ ساران چھِ۔

ڈَگو ڈَگو (سارُن)(ورگہٕ) سبٹھا۔بسیار (داج بیترِ واتناؤن۔

ڈَگہٕ ڈَگہٕ ۔مُفلِسی یا نادأری کِنؠ لُمی لُمی گنذرِ چلاؤن۔(ل۔م) اکہِ اکہِ ڈگہٕ ستؠ سأرتھ رٔژرٔژِ سۄمبرُن۔ وارِ وارِ سورُے سأرتھ اُنُن۔

ڈَگُر ۔ہٕڑ زۆر بیترِ یُس ڈَگس کبتھ زبن سارِ۔

ڈَگ پیچ ۔سہٕ کم قلیل پأنسہٕ ٹۄنگ بیترِ یُس بجؠ ومُت آسہِ۔یہٕ کینژ ھا کچھتھ رۆ دمُت آسہِ۔داش نداش۔ ہَن دأنؠ ۔یہٕ کینژ ھا پتھ کُن موژ یومُت آسہِ (نوقصان بیترِ گژھتھ)۔

ڈَل ا۔ن۔مؤل: ڈل]۔ا۔سبٹھا بۆڈ سَر ۔۲۔سرِ ہنگرس نزدیکھ اکہِ بڈِ سَرُک ناو۔۳۔(ورگہٕ پأٹھؠ) آبہٕ زاڈ یتھ جلیہ وارِیاہ آب سَمٔیومُت آسہِ۔۴۔بۆڈ ژمینہٕ ژنگل یتھ وارِیاہَس حِصس اُکُے فصل وَدنہٕ آمُت آسہِ۔

ڈَل سأل ۔شِکارِ یا ڈۆنگس بیترِ کبتھ ڈَل چھاؤن۔ ڈلُک نظارٕ وچھُن۔

ڈَل کھأگی ۔سہٕ ہأنز یُس ڈَلس منز رادن پیٹھ سَبزی بیترِ وۄپداوان چھُ۔

ڈَل گژھنؠ ۔ا۔آبہٕ زاڈ گژھنؠ۔وارِیاہ آب چھکنہٕ یِن (کھٔٹِس بیترِ)۔۲۔بوچھ ستؠ یڈ کھَن گژھنؠ۔ سَخ بوچھ لگنؠ۔

ڈَل۲۔ن۔مؤل: ڈل <س: دَلہٕ]لوگٹ پنہٕ بُرگ۔

ڈَل۳۔(اُچھ) دادِچ دَگ: ڈَلُن۔

ڈَلأے ۔م۔مؤل: ڈلاے <م۔ہ: ڈھال]۔ا۔دبگأ وتھ دات بیترِ ساچُس منز تراونؠ تہٕ تتھ کانہہ چیز گرُن۔ ساچُن منز کانہہ چیز گرُن (شیٖشہٕ ترس۔ تراَمس بیترِ)۔۲۔ساچُس منز چیز بیترِ گرنچ اُجرتھ۔گرٕونؠ۔

ڈَلُن ۔ن۔مؤل: ڈَل <پراکرت: ڈھلہ]۔ا۔اکہِ جلیہٕ پیٹھ بیٚیِس جایہِ کُن دۆ تھُن۔اُکؠ سے جلیہٕ نہٕ بہتھ روزُن۔۲۔ہلُن۔اکہِ ڈلہٕ گژھُن ۔قرارِ سان نہٕ روزُن۔۳۔دیان نہٕ اُکؠ سے چیزِس پیٹھ روزُن۔ تَوجہہ اورِ یورِ گژھُن۔خیال اورِ یورِ گژھُن۔۴۔(نشہٕ بیترِ گرِتھ)۔مغزُن قدر نہٕ روزُن۔مغز بگڑٕنؠ۔ ۵۔(کھور بیترِ) کھرِ وسُن۔کھر گژھنؠ (ربہٕ بیترِ پیٹھ)۔ ۶۔(تیز گاش آسنہٕ کِنؠ) اچھن پھُٹھن۔ اچھ دو آسنہٕ کِنؠ ترٛ دۆتھُن۔اعتقادِ نشہٕ پھیرُن۔غلط وتہِ لگُن۔۸۔(سٔیُن بیترِ) بگرُن۔کھنبس لایق نہٕ روزُن۔

ڈۆلُمت ۔(ورگہٕ)۔ا۔یُس نہٕ مغز ژنجہِ آسُن (نشہٕ بیترِ گرنہٕ ستؠ)۔۲۔باورِ۔پاگل۔۳۔یُس اعتقاد پھٕٹمُت آسہِ۔غلط وتہِ لۆگمُت۔گمراہ گومُت۔ ۴۔(سٔیُن بیترِ) پھیوٗرمُت۔

ڈَل کاو۔ن۔مۆل:ڈل کاو>ڈَل+س:کاکہ]۔(وَرگہٕ) گتھِ گوشِ دِنہٕ وول۔یُس زأنتھ گوش دِیہِ۔

ڈَل کاولاگُن۔زأنتھ گوش دِیُن۔

ڈَمب ا۔ن۔مۆل:ڈَمب>س:ڈِمبہ]۔شُری بانہٕ۔ بَچہ دأنی۔شِکم۔حَمل۔

ڈَمبہٕ پھٹُن۔ا۔پانس زیوٚن۔۲۔زَنمس یُن۔

ڈَمبہٕ آسُن۔شُر زامُت آسُن۔

ڈَمبہٕ روزُن۔بیٚیہٕ زُوروزُن۔دُجان روزُن۔

ڈَمب لگُن۔ا۔بیٚیہٕ زُوروزُن۔گوبہٕ کھوررروزُن۔شُر ہِینہٕ یُن (یِڈاندَر)۔شُرلگُن۔حَمل لگُن۔۲۔زَنمس یُن۔

ڈَمب ۲۔اکہٕ سبزی ہُند ناو(یہٕ چھےٚ یِوٚپأٹھی آبس منٛز ووپدان)۔

ڈَمپَر۔ن۔مۆل:ڈمپر>انگ:ڈَمپر۔Dumper] گنہِ۔ شہتیر بیترِ سارنہٕ باپتھ گاڑی یتھ خودکار آسنہٕ کِنۍ پَتِیم ڈُلہٕ مال پتھ تراونہٕ باپتھ تھوٚ دوو تھان چھُ۔

ڈَنۍ ڈَنۍ۔ن۔مۆل:ڈَنۍ ڈَنۍ>آوازِ پیٹھ]۔ڈولہٕ بیترِ چ آواز۔نگارٕچ آواز۔

ڈَنۍ ڈَنۍ کَران یُن۔(وَرگہٕ) گرٕ فرِسان۔ژرٛنڈٕ گرٛنڈمہٕ سان یُن۔

ڈَنٛڈ ا۔ن۔مۆل:ڈَنٛڈ>پرٛاکرت:ڈنڈ و۔س:دَنڈہ:دنڈ] اکہِ قسمٕچ وَرزِش۔اَتھن کھورَن پیٹھ روٗزِتھ پتھرِس پیٹھ کلہٕ تہٕ پان تَربومنٛزی کڈٕنچ وَرزِش۔

ڈَنٛڈ کڈٕنۍ۔ڈَنٛڈ کڈٕنچ وَرزِش گَرٕنۍ۔

ڈَنٛڈ ۲۔ا۔سزا۔۲۔ہَرجانہٕ۔۳۔(وَرگہٕ) اَدلہٕ بَدل تیُوٚر یُس مؤمتس یا رأوی مِتس تِرس بدلہٕ پوٚہل دِوان چھُ۔

ڈَنٛڈ کھوَن۔ا۔دکھنگ سہٕ وَن بیٚیتہٕ کینژَس کالس رامہٕ ژٔندرِ وَنہٕ واسہٕ کینہٕ دوہَن روٗزِتھ اوس۔ ۲۔حمل پرگنس منٛز اکھ جنگل بیٚیتہٕ زُکاریوٚش ریاضتھ اوس کران۔

ڈَنٛڈ ا۔ن۔مۆل:ڈَنٛڈ>س:دَنڈ]۔ا۔لگہٕ۔ہَرجانہٕ۔ چیٚٹ۔۲۔تاوان۔جُرمانہٕ۔۲۔بَدلہٕ۔ماوضہٕ۔ کأنسہِ ہُند چیز بیترِ پھٹنہٕ یا راونہٕ کِنۍ تتھ بَدل بیاکھ چیز دیُن۔چیزس چیز دیُن پیوٚن۔ ۳۔سزا(گُنہِ گوہس یا۔ترِس بیترِ)۔

ڈَنٛڈ برُن۔نوقصانس بیترِ ماوضہٕ دیُن۔رأوی مِتس چیزس اَدلہٕ بَدل دیُن۔

ڈَنٛڈ پیوٚن۔لگہٕ دیُن پیوٚن۔ماوضہٕ دیُن پیوٚن۔

ڈَنٛڈ ۲۔ن۔مۆل:ڈَنٛڈ>س:دنڈ]۔زٕیٹھ تہٕ موٚٹ لوٗر (یِوٚپأٹھی بأنسو)۔زیٛوٚٹھ لوٗٹھ۔

ڈَنٛڈ زورٕ۔(وَرگہٕ) زور زَبردستی گرِتھ۔روبہٕ داب ہأوِتھ۔پنٕنہٕ مرضی نہٕ۔لوٗرِ زورٕ۔

ڈَ نگ ا۔ن۔مۆل:ڈنگ]۔ا۔چاروأیَن بیترِ زَنگَن پھٕژمُت گنٛڈ۔۲۔رزیا ہانٛگل بیترِ یِیمہٕ ستۍ چاروأیَن دوَن زَنگَن گنٛڈ گران چھِ یتھ نہٕ

دوٗرَن یا ژٔلن۔
ڈ نگ دیُن۔ گیٚنٛس ہیٚتر زَ نگہِ زِ رزِ ستۍ گٔنڈتھ تھوٚنہٕ۔
ڈَ نگ ۲۔ن۔مؤل: ڈَ نگ ]۔ اکہِ وَقتک خوراکھ (دَوا یا بتہٕ ہیٚتر ٹیٚک)۔
ڈَ نگہِ۔ن۔مؤل: ڈَ نگ]۔ا۔سڑکہِ ہیٚترٕ کھارنہٕ آمٕت گنٛنن ہُند ژھوٚٹ دیوار۔ ڈَ کھہ۔۲۔ دَر۔
ڈَ نگہِ لاگُن۔(پٔنٛن بول بَجا اَنہٕ خاطر) یٔڈ کہِ لاگُن۔
ڈَ نگہِ ڈَ نگہِ۔ن۔مؤل: ڈَ نگہِ ڈ نگ < آوازِ پیٚٹھ]۔
ا۔ڈم ڈُچ آواز۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) اَپزٕ ے ٹھَکہٕ ٹھکہٕ۔ ٹلی ہاو باو۔
ڈَ نگہِ ڈَ نگہِ کَران یُن۔(اَپزٕ ے) شانہٕ شوٗکتہٕ سان تھبکان یُن۔
ڈَ نگُر۔ن۔مؤل: ڈَ نگر <ہ: ڈانگر۔ پنجابی۔ ڈنگر ]۔
ا۔پوٗش۔ چاروو ے۔۲۔(ہزلہٕ) کال۔ بےٚ وقوف۔
ڈَ ے۔م۔مؤل: ڈَ ے< انگ: ڈَ ے]۔ ٹلکن ہیٚترٕ چوٗرِ کھارنک اَکھ ہتھی یار۔
ڈابہٕ۔ بتأ ے وان۔
ڈابرٕ۔واینٛگ اَکھ سازیُس یُس پأٹھی بأزی گر ہیٚترٕ لوٗکھ سوٗمبراونہٕ خاطرٕ وایان چھہٕ۔
ڈابر وایِن وول۔(وَرگہٕ) بتہٕ سازَندر۔ رنٛگن گوٗر۔ چمچہٕ۔
ڈابر وایِنۍ۔ لوٗکن منٛز کتھ پھألاوٕنۍ۔ تُرے کرٕنۍ۔ پزٕ وپہٕ گنٛڈا کرُن۔

ڈاپھ۔ن۔مؤل: ڈاپھ] آرام۔ تھٔکتھ ژھیٚنٛتھ پان ترٛاوُن۔
پٔتھرس پیٹھ پان ترٛاوتھ بَرزَنگہِ وَہراونہٕ۔
نیٚنٛدرٕ۔ شوٚنگ۔
ڈاپھ ترٛاوُن۔ا۔ آرام ترٛاوُن۔ تھٔکتھ ژھیٚنٛتھ پان ترٛاوُن۔ لَر ترٛاوٕنۍ۔ شوٚنگن نیٚنٛدرٕ ترٛاوٕنۍ۔۲۔(وَرگہٕ) گوٗش دیُن۔۳۔ لَر دِنۍ۔
ڈاٹھ۔ ڈاٹھ۔م۔مؤل: ڈاٹ <ہ۔ ڈاٹ]۔ا۔ چھٔتٕر۔ میٚحراب۔ ژینٛمن دون تار دِنہٕ خاطرٕ لَداو۔
۲۔ رٕکھ ہش یوسہٕ ڈٔسل میحرابس یا لَبہِ چھہٕ بناوان۔
ڈاٹھ دار۔ یتھ ڈأٹھ ترٛاوتھ آسہٕ۔
ڈاج (کرُن)۔۔ن۔مؤل: ڈاج <انگ: ڈاج۔ Dodge]۔ فُٹ بالہِ یا ہاکی ہیٚترٕ گنٛدن وِزِ بال کھینہٕ موکھہ باجن ہُند اَکھ اَکِس بٔنتھ یُن۔ اوٚک طرف ترٛاوُن۔
ڈاڑ۔م۔مؤل: ڈاڑ <س: دارڈھیہ]۔ کُنہِ کامہِ ہیٚترٕ پیٚٹھ قرار (کرُن)۔ ژبٕڈ۔ دَربَر۔
ڈاڑ کرٕنۍ۔ کُنہِ کامہِ ہیٚترٕ پیٚٹھ قرار کرُن۔ دَربَر کٔرِتھ روزُن۔
ڈاڑِ۔ن۔مؤل: ڈاڑ <س: دار ڈھیہ]۔ا۔ دوٗر۔ سَخ۔ مَضبوٗط۔۲۔ ووکھہ۔ وُلہٕ۔م: ڈاڑِ تصرُف۔
۳۔ جُرتی۔ یُس نہٕ کھوٗژِ۔
ڈار۔ن۔مؤل: ڈار <س: دھرا]۔ پاتھُل زمین یتھ مَکأ ے یا ءِکنکھ ہیوٗ فَصل وَونہٕ آمٕت آسہٕ۔

ڈارِ۲۔ مؤل: ڈار > س: ڈامَر ]۔ کأشرِ بَن ہنٛز اَکھ کِرام۔
مِ: نٮ۪رِ ڈار۔

ڈاس۔ ن۔ مؤل: ڈاس > س: دھاسَس ]۔ تبأہی۔
بَربأدی۔

ڈاسہِ پتھرِ۔ سو جاے یوس وُجارِ آسہِ گأمٕژ۔ وأران
جِہاتھ۔

ڈاسہِ پتھر گَرٕنی۔ (وَرگہٕ) لُرِ پار گَرُن۔

ڈاسہِ رٮ۪نٛز۔ سوزَنانہٕ یوسہٕ فضوٗل خرچی کٔرِ گَرَس
تبأہی گَرِ۔

ڈاسہِ کٕتُر۔ ۱۔ اَنٛدِ وَنٛد تبأہی۔ ۲۔ پھٕٹنہِ یا ؤسی پٮ۪نہٕ
سٟتی بَربأدی۔

ڈاسہِ ناو۔ وُچھو "ڈاسہِ کٕتُر۔"

ڈاس گَرُن۔ تباہ گَرُن۔ پھٕش اَنُن۔ چیزن ہیترِ
چھٕلہِ چھانگر گَرٕنی۔

ڈاسُر۔ یُس بَربأدی گَرِ۔

ڈاک، ڈاکھ۔ ن۔ مؤل: ڈاک > س: دڑاک ]۔ چِٹھی
یا پارسَل ہیترِ یُس کأنٛسہِ سوزنہٕ یِیہ۔

ڈاکہٕ وول۔ چِٹھی رَسان۔ یُس لۆکَن ہنٛزٕ چِٹھِ
ہیترِ اَدرِ پور سارِ نَس پٮ۪ٹھ مُلأزِم آسہِ۔

ڈاک خانہٕ۔ پوسٹ آفِس۔ چِٹھ ہیترِ اَدرِ پور سارنُک
مُحکمہٕ۔

ڈاک گَر۔ سُہ مُحکمہٕ یُس لۆکَن ہنٛزٕ چِٹھِ ہیترِ اَدرِ پور
ساران چھُ۔

ڈاکہٕ۔ ن۔ مؤل: ڈاک > مُ: ہ: ڈاکہ ]۔ چھاپہٕ مأرِتھ لۆٹھ۔
ڈاکہٕ ژٕنی۔ چھاپہٕ مأرِتھ لۆٹھ گَرُن۔
ڈاکہٕ مارُن۔ لۆٹھ گَرُن۔

ڈاکرِ۔ مؤ۔ ل: ڈاکر : ڈھکہ۔ مُ۔ بِہاری: ڈھاکٕڈتہٕ کھج
گول پھوترِ۔ تھ منٛز ہا کھ ہیترِ تھوان چھہِ۔ ژھر۔

ڈاکُرا۔ ن۔ مؤل: ڈاکر > آوازِ پٮ۪ٹھ۔ مُ۔ ہ۔ پنجابی:
ڈکار ]۔ میٚادِ پٮ۪ٹھ کھأرِتھ أسہِ کٔنِ تژاونہٕ آمُت
آوازِ سان ہَوا۔

ڈاکُر تژاوُن۔ کھبتھ چِتھ أسہِ منٛزٕ آوازِ سان ہوا
نٮ۪بر تژاوُن۔

ڈاکُر گَرُن۔ (وَرگہٕ) کأنٛسہِ ہُنٛد کیٚنہہ کھبتھ چِتھ
یَب گَرُن۔

ڈاکُرِ۲۔ ن۔ مؤل: ڈاکر ]۔ دِہَن ہش یوسہٕ کتراوَن
وِزِ جُن ہیترِ وو تھان چھےٚ۔

ڈاکۆ۔ مؤل: ڈاکۆ > مُ۔ ہ: ڈاکو ]۔ لۆٹُر۔ یُس زَبَردستی
گُرِتھ کأنٛہہ چیز ہُتھ ژٕلہِ۔

ڈاک بنٛگلہٕ۔ ن۔ مؤل: ڈاک۔ بنگل ]۔ ۱۔ سَرکأری
مُسافر خانہٕ ییٚتہِ کھنہٕ چٮ۪نگ تہٕ اِنتظام آسہِ۔ ۲۔
دورَس ہیترِ پٮ۪ٹھ گوڑھَن والین اَفسَرن ہیترِ ہنٛدِ
روزنچ جاے۔

ڈاکٹر۔ ن۔ مؤل: ڈاکٹر > انگ: Doctor ]۔ انگریزی
طرٟقَس پٮ۪ٹھ علاج گَرَن وول حکیم۔ ۲۔ کُنہِ
عٟلمُک ماہر۔ سُہ یٮ۪می (پی۔ ایچ۔ ڈی)

بیترِ ڈِگری نیمُت آسہِ۔

ڈاکھ۔ ن۔ مؤ: ڈاک <س: داہہ + کرٖ]۔ ا۔ ڈٕزتھ سوٗر یامیُت ۔۲۔ تبٲہی۔ وٲرٲنی ۔۳۔ میچہ نتہِ ستی ژھیٚنِتھ پیوٚن ۔ پکھ پکھ لوسن ۔۴۔ نوٚنہٕ ٹلکیک سُہ دوٗل حصہٕ یُس نہٕ کھوان چھہٕ۔

ڈاکہِ میُت۔ میُت یوسہٕ تاوٕ ستی پیٚنہٕ آمُت آسہِ۔ داژِ پیٚنہٕ آمُت ووٚزِ چ میُت۔

ڈاکہِ نوٗن۔ اکھ قسمُک پہاڑی نوٗن یُس پیٚنہٕ آمُت میُت ہندی پٲٹھی موولیوٗ مُت آسان چھہٕ۔

ڈاکھ ستہِ ڈٕلی سہِ۔ اَنٛدٕ وَند تبٲہی۔ وٲرٲنی۔

ڈٲکھ گژھُن ا۔ ڈٕزِتھ سوٗر گژھُن ۔۲۔ (وَرگہِ پٲٹھی) تباہ گژھُن ۔ بَرباد گژھُن ۔۳۔ (وَرگہِ پٲٹھی)۔ سَخ تھکُن ۔ ژھیٚنِتھ پیوٚن۔

ڈٲکھی گژھُن ۔ ا۔ وَقت بیترِ کُنہِ چیزَس ستی فوٗضوٗل راوُن ۔ کٲم بیترِ نہٕ رَتھِ کھسنی ۔۲۔ تباہ گژھُن ۔ بَرباد گژھُن ۔ وٲرانی گژھنی۔

ڈال دِنی ۔ ا۔ وَقت گُساوُنہٕ باپتھ اورِ یور پھیرُن ۔ ۲۔ نَژُن ۔ گتھ دیُن ۔ م: نَژُن ڈالا دِنی ۔

ڈالر ۔ ن۔ مؤل: ڈالر <انگ: ڈالر Dollar]۔ اکھ سِکُک ناو یُس یُتہٕ پٲٹھی امریکاہَس منٛز چلان چھہٕ۔

ڈالانہٕ ۔ ن۔ مؤل: ڈالان <ف: دالان ]۔ ا۔ ہیٚری مِس پورَس بٕڑ ڈنہہ کُنہِ بوٚ ڈگرِ یتھ اَندی اَندی ڈَبہِ ڈوٗل آسام چھہٕ ۔۲۔ بٕڑ اَنٛڈ۔

ڈالہِ ا ۔ م۔ مؤل: ڈال <پرٛاکرِت: ڈالہ، ٹالہ <س: ٹَل]

ا۔ ہورتہٕ یورلاینہٕ یُن ۔۲۔ کامہِ چارِ وِزِتہ ماشہِ مأرٕ مأرٕ پکُن ۔ لاپَرواگُن ۔۳۔ (وَرگہِ پٲٹھی) نُخرٕ وَر۔ گجر۔

ڈالہِ دِنہٕ/ڈالہِ مارنہٕ ۔ ا۔ ماشہِ مأرٕ مأرٕ پکُن ۔ کام ترٛاوِتھ ژلن۔ لاپَروٲہی کام کٕرنی۔ ۲۔ نُخرٕ کٕرنی۔ وَر کٕرنی۔

ڈالہِ ۲۔ ن۔ مؤل: ڈال ]۔ چھکرٕ کہِ ڈٕکھ پوٚت پٔٹ ییمہِ ستی چھکرٕک مال بَنٛد چھہٕ گنڈھان۔

ڈالہِ ۳۔ ژٕ کوٗنجل مُجمہٕ ہیٔ یتھ دوٚیوٚ اَنٛد ورٕز گنٛڈِتھ چھیٚ آسان تہٕ یہِ رَزنالی ترٛاوِتھ چھہٕ اَتھ منٛز وَتہٕ وَتہِ سِگر۔ یتھ بیترِ کِننہٕ یوان۔

ڈالُن ا۔ ن۔ مؤل: ڈال <پرٛاکرت: ڈھالہ ]۔ ا۔ جایہِ بَدلی کٕرنی ۔ اکھ جایہِ پٕتھ ژٕکتھ بیٚیِس جایہِ تھوٚن۔ ۲۔ ٹھُرِ اَستھ اورِ یور پگناوُن۔ نظر موکلاونہٕ باپتھ اورِ یور ژٕلُن ۔۳۔ پٕتھ پھرُن (اَتھِ کرٕ ڈوٗنٛڈ یا قلم بیترِ ) ۔۴۔ سوٗترٛاونہٕ موکھ کانٛہہ اَوزار بیترِ وارِ وارِ پٕتھ پھرُن ۔ م: کٕرنی ڈالِنی ۔ کھوٗرٕ ڈالُن ۔ ۵۔ بَدلاوُن ۔ رَد کٕرُن (حکمیترِ بَدلاوِنی ۔ (کُنہِ چیزَس) م: حُلیہِ ڈالُن ۔ پران پَران یا سوچُن وِزِ کانٛسہٕ خیال اورِ یور کٕرُن ۔۸۔ خراب صوحبتھ دِنی ۔ کانٛہہ بُرٕ کامِن کُن لاگُن ۔ گُمراہ کٕرُن ۔۹۔ تومَلَس بیترِ شُپس منٛز ژھٹھ کڈِنی یا کُنہِ برٕ وَنٛتھ کُن اَنُن ۔

ڈال تلوار۔ سپَر تہٕ شمشیر۔ (وَرگہٕ پأٹھی) سلاح سامانہٕ۔
ڈالڈا۔ ن۔ مول: ڈالڈا <ہ: ڈالڈا۔ اَکھ تجارتی ناو]۔
بَناسپتی گیوٗک اَکھ تجارتی ناو۔
ڈامَر۔ کشیرِ ہُندا اَکھ پرٛون جنگجو قبیلہٕ۔
ڈامب۔ ن۔ مؤل: ڈامب <س: وِڈمبہٕ۔ ڈمب]۔
ا۔ سانگ۔ اَپُز۔ پأتھر۔ چالاکی۔ اَپُز گأیلہٕ یا مکھر۔ ۲۔ شُرِس ہیتھ سُند کُنہِ چیز باپتھ لوگمُت رِڑِیا مُچلہٕ۔
ڈامبَس کامبے۔ یہِ چھِ شُری گِنڈنس منٛز ڈامب کرنس پتٕھ وَنان۔ تہِ ڈوٛتھ گوڈٕ گُرس چھنہٕ پوٗران۔
ڈامب ترٛاوُن۔ اَپُز ے گأیلہٕ لاگُن۔ رِڑِ لاگُن۔ مُچلہٕ لاگُن۔ کُنہِ چیز باپتھ وَدان وَدان منٛز وَتہِ پان ترٛاوُن۔
ڈامب لاگُن۔ وُچھو "ڈامب ترٛاوُن"۔
ڈامبل۔ مؤل: ڈامبل <وُچھو ڈامب]۔ ڈامب ترٛاوَن وول۔ یُس مُچلہٕ لاگہِ مکھری۔ سانگل
ڈامباڈول/ڈانو۔ ڈول۔ ن۔ مؤل: ڈامباڈول <ہ: ڈانواڈول]۔ ا۔ دِل مُل۔ یہِ نہٕ پوٗرِ پأٹھی وأضح آسہِ۔ (کتھ ہیتھ) پوٗرٕ صاف نہٕ۔
۲۔ اڈرٕ نہٕ بٔڑرٕ۔ اَپُز ے ڈرِتھ۔ اَلوٗمِن کنِن پتھ۔
ڈال۔ ن۔ ومول: ڈال <آوازِ پتھ]۔ ا۔ گاو ہنٛز آواز۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) (اَمانتھ یا قرض) کھیوٗن۔

یَب کرُن۔
ڈاں کرُن۔ ا۔ یَب کرُن۔ (اَمانتس ہیتھ)۔
۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) ہار مانٕنۍ۔ لبڑن۔
ڈانچہٕ۔ ن۔ مؤل: ڈانچ <ہ: ڈھانچا]۔ ا۔ کرٛنٛز۔ ۲۔ سانچہٕ۔ قالِب۔
ڈانگ۔ ن۔ مؤل: ڈانگ <پرٛاکرِت: ڈنگا]۔ زیوٗٹھ ڈنٛڈٕ۔ ڈٕس۔ لوٚٹھ۔
ڈانگ دِنۍ۔ ڈنٛڈٕ ستۍ پرٛتھ وانٛنۍ۔ ڈنٛڈٕ ستۍ چوب دِنۍ۔ لایُن۔ چوب دِنۍ رِپما ٹھ کرُن۔
ڈانگر۔ کاشرِ بن ہنٛز اَکھ کرٛام۔
ڈانگری۔ مسترٛی سُند سہٕ پکوٗیُس سہٕ کامہِ وِزِ لاگان چھُ یہِ چھُ قمیض تہٕ پأجامہٕ یکوٹہٕ سوٗتھ آسان۔
ڈانگر۔ ن۔ مؤل: ڈانگر <س: دھانیہ+ف: گر=س: گر] دانہٕ تومُل کِنَن وول ٹُٹھ وول۔ یُس دانہٕ ہیتھ مؤلی ہیتھ کِنہٕ۔
ڈاہ۔ ن۔ مؤل: ڈاہ <پرٛاکرت: ڈاہ <س: دلہہ]۔ وُچھو "داہ"۔
ڈاے۔ مؤل: ڈاے <پرٛاکرت: اَڈھا اِیہ۔ س: آردھ+ترِتیہ]۔ زِتہٕ اڈ ڈ۔
ڈاین کرِبن ہُنٛد راج۔ (ہزلہٕ پأٹھی) (حأکمی یوسہٕ کم سے کالس روزِیا پوشہٕ۔
ڈایہِ کرِی یاد پیوٚن۔ وَقت گوٚھتھ ظوٗنس واتُن۔ موقہٕ ڈٕلِتھ خیال پیوٚن۔
ڈاے پوش تُل: ڈاین پوشہِ ڈُھرَن ہنٛدِ وَزنہٕ تہٕ

ڈٕپتھ گونوزٕک۔

ڈایل ۔ن۔مؤل:ڈایل <انگ:ڈایلDial]۔ا۔گرِ ہنٛز نٔمبر پٕٹ یتھ پٮ۪ٹھ اکہ پٮ۪ٹھ باہَن تام گرٛنٛد لیکھتھ آسان چھےٚ۔۲۔ٹیلیفون آلچ پٕٹ یوسہ پھرنہٕ ستۍ نٔمبر رلاونہٕ یوان چھُ۔

ڈایری۔م۔مؤل:ڈایری <انگ:ڈایری:Diary]۔ سو کتاب یتھ پٮ۪ٹھ دوہدِش پأٹھۍ یاداش درج کرنہٕ ییہ۔

ڈایریکٹر ۔ن۔مؤل:ڈایریکٹر <انگ: ڈایریکٹرDirector]۔ اَحکمک یا ادارُک نأظم ۔۲۔(ڈرامہٕ نٹک یا فِلمہٕ بیترِ ہُنٛد )ہدایتھ کار۔

ڈٔبہِ ۔م۔مؤل:ڈٔبہِ <مُ۔ہ:ڈِبیا]۔ا۔سبٹھا لوکٕٹ ڈبہٕ ہَن یتھ اَنٛدر رنٛگۍ رنٛگۍ چیز تھَونہٕ یوان چھِ ۲۔ٹینٛٹھو میژِ تیلہٕ ژونٛگ۔ کپہٕ چالہِ سویٔٹ دار ٹینہٕ ڈبہٕ ہیوٗ یُس ژانٛگلۍ پأٹھۍ زالان چھِ۔ڈِبری۔

ڈٔپتھ (روزُن)۔مؤل: ڈٔٹ <س: درِڈھ]۔ا۔پننہٕ نِش نہٕ ڈلُن۔ اکی ہے لفظس پٮ۪ٹھ روزُن۔ لفظس نہٕ ڈلُن ۔۲۔مُقابلہٕ خأطرٕ تیار روزُن۔ جُرتہٕ سان مُقابلہٕ کرُن۔

ڈٕچھ۔م۔مؤل:ڈٕچھ <پراکرت:ٹایکہ ]۔ا۔لوٗٹھ یتھ پٮ۪ٹھ ناوِ ہِنٛدِ پِشِک اَکھ حِصہٕ (دہ بیترِ نیرنہٕ خأطرٕ )بوٗنہِ مہٕ اَنٛدِ تھوٗ درٛٹنہٕ ییہِ۔ناوہنٛز ڈٕکھج۔ ۲۔ناوِ ہِنٛدِ پِشک سُہ حِصہٕ یُس دہ بیترِ نیرنہٕ خأطرٕ بوٗنہِ مہٕ اَنٛدِ لٹھِن پٮ۪ٹھ تھوٗ درٛٹنہٕ یوان چھُ۔

ڈٕ کر۔م۔مؤل:ڈٕکر <:مُ۔ہ:ڈگر ]۔وُڈِر ہُنٛد یا بالُک لٔبر۔

ڈٕ کی ۔م۔مول:ڈکی ]۔وٕچھو"ڈٕ کری۔"

ڈٕ کر۔ٹٔکر۔

ڈٕ کرٕ کرٕنۍ ۔ا۔ٹٔکر کرٕنۍ ۔چھلہٕ کرنہٕ ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ)سَخ لایُن۔

ڈٕ کھج ۔م۔مؤل:ڈٕ کھج <وُچھو ڈٕ چھ]۔لوٗٹھ یا تھَم بیترِ یتھ پٮ۪ٹھ ناوِ ہنٛز ڈٕچھ رٹنہٕ یوان چھےٚ۔

ڈٕ کھرِ ۔م۔مؤل:ڈکھرِ <وُچھو۔ڈوکھ ]۔ڈوکھ اُتھنہٕ کنۍ کو برسان پکُن۔

ڈٕ کھی جَل/ڈٕ گی جَل۔یس جان صوٗرتھ آسہِ ۔اَمِسٕنٛز بسَن وول اُژگر۔

ڈٕ کھر اوُن/ڈٕ کھرُن ۔ا۔کُنہِ ستۍ ڈکھ کرِتھ تھوٗن ۔کنہٕ ستۍ ڈ۔اُوِتھ تھوٗن ۔۲۔ٹھُکراوُن ۔کانٛہہ چیز ڈکھس رٹُن۔

ڈٕ کھری ڈٕ کھری پکُن۔سأری سأری پکُن۔کھور ٹھُکراوُن۔کانٛہہ چیز ڈ

ڈٕ کھر اُوِتھ تھوٗن ۔ا۔ٹھُکر اُوِتھ تھوٗن کانٛہہ چیز لبہٕ بیترِ ستۍ ۔ڈرر اُوِتھ تھوٗن یتھ نہٕ وٕسۍ پیٚیہِ یا ہلہِ ڈلہِ ۔۲۔زورِ اِستادٕ کرُن۔

ڈٔلنۍ ۔م۔مؤل:ڈلن <مُ۔ہ:ڈھلان]۔سلأمی ۔وَسہٕ وُن پٔش بیترِ یتھ نہٕ جادٕ تر کجار آسہِ۔

ڈلہِ سہٕ ۔ن۔مؤل:ڈلِہ سہ <م:ہ:ڈھلنا]۔(ووہو)
ڈاکھ۔تباہی۔وُ جارِگی۔

ڈمنی، ڈمبنی۔م۔مؤل:ڈمنی <س:ڈِمبہ]۔میاوُک
جُودارحصہٕ۔

ڈمی نہِ کلُپش۔(ہزلہٕ) نوہ تہٕ ڈمبنی (یُس ضیانتھ
زانتھ بُگرنہٕ پیہِ)۔

ڈنڈ۔م۔مؤل:ڈنڈ <س:دنڈ۔م۔ہ:دنڈا]۔ا۔ترٛکرِ
ہُند مُنزِیم ڈنڈ یتھ پاٹھری گنڈتھ آسان چھِ۔
۲۔ترٛاے طرٛیتک رجحان۔کُنہِ کُن پُو۔
۳۔خصلتھ۔خمیر۔م:بچھ ڈنڈ۔

ڈنجہِ روزُن۔ا۔اکی سے ہزازس پیٹھ روزُن۔
ترٛاے نہٕ بد لاوٕنی۔قرار روزُن۔۲۔ارِ زرٛو
روزُن۔ وار کار آسُن۔۳۔سوکھ سان بہُن۔
کھوکھس نہٕ آسُن۔سیتھ نہٕ ڈنی۔

ڈنڈ رٔٹنی۔ا۔ترٛاے رٔٹنی۔کُنہ کُن ہاوُن کُنیک
عادتھ گُوھُن۔کُنہ کُن طرٛی یتھ گوھُن۔
۲۔کانسہِ ہنٛز خصلتھ لارِنی۔

ڈنڈ ژھنبنی۔یٔنس ہیترٕ آیچ ترٛاے ہنٛیس طرفس کُن
گژھنی۔یٔنس گنڈ ژھینُن۔تھوپ نیرُن۔

ڈنڈی کہٕ۔<س:ڈنڈکا]۔ڈنڈ یمن پیٹھ گُپن ہیترِ ٹلان
چھِ۔(بُڈپاٹھی بیمار یا مورد) ڈانڈی۔

ڈنڈی کُن۔ڈنڈ کُن پیٹھ ٹلُن۔ا۔زورِ اِستادٕ کرُن۔
۲۔مُشکلہِ سان کُنہ کامہِ پیٹھ آمادٕ کرُن۔

ڈنڈ کہٕ لاگُن۔نیاے لاگُن۔

ڈنگج۔م۔مؤل:ڈنگج]۔گانس اَندر چھُکی یتھ پیٹھ
شونگان ہیترٕ چھِ۔

ڈنگو ڈجہِ کرنہٕ۔ا۔یَسلہِ پاٹھی استیمال کرُن۔
سولہِ پاٹھی خرچاوُن۔۲۔بےٚ کھٹتھ پاٹھی ہیےٚ
ہندِس مالس عاش کرِنی۔۳۔بےٚ ترتیب پاٹھی
چیز ہیترٕ برٛتھ دِنی۔

ڈہتھ نٔین۔ا۔ہیرٕ والُن (ہکہٕ تہٕ بےٚ شونگی پاٹھی)۔
۲۔سورے چتھ موکلاوُن۔۳۔وُڈاوِتھ نٔین۔
۴۔تباہ کرُن۔ڈاس کرُن۔

ڈے ڈاس۔ڈیہٕ ڈاس۔تباہی۔وأرانی۔تلک پیٹھ۔

ڈاڈی۔ <وُچھو۔ڈاڈ]۔ا۔ڈری پاٹھی۔۲۔ ڈاڈ۔
۳۔ہر ہمیشہ۔م۔

یمن آے چانہِ لاینہ ژکھ تمن شوٗد
یہِ لایَن چون روٗزن داڈی موجود
(مقبول کرالہ واری)۔

ڈاکِستان۔ن۔مؤل:ڈاکِستان]۔شینی یا وأران جاتھ۔

ڈاگنی۔م۔مؤل:ڈاگن <س:ڈاکنی]۔راٹنس۔ڈان۔

ڈالی ا۔م۔مؤل:ڈالی]۔ڈج یوسہِ پھبرنس ہیترٕ لبہِ
چاکس دررِ باپتھ اندری کنی واٹنہٕ یوان
چھےٚ۔ہکو۔

ڈالی ۲۔م۔مؤل:ڈالی <پرٛاکرت:ڈلہ]۔ا۔لوکٹ ٹوکر۔
زانُن۔۲۔نذرانہٕ ۳۔توٚشہٕ (موٗمِتھایہِ رٔنگی)۔

ڈٲلی سوزٕنی ۔کانٛسہِ کانٛہہ توحفہِ سوزُن۔

ڈٲن ۔م۔مؤل:ڈٲن <س:ڈاکنی۔ا۔(لُوکہٕ گتھَن منٛز )سٕہ زَنانہٕ ،کردارِ یُس جودگرِتھ ضَر رواتھاوِ۔ (دٕپان یِژھ زَنانہٕ چھِ کھور پٔتھ کُن آسان)۔

۲۔(وَرگہٕ پٲٹھی )۔زَنانہٕ یُس کُن وُچھتھ کھوژُن ییہِ۔لڑٲیہِ گرٕ زَنانہٕ یوسہٕ ہنکہٕ منگہٕ اَگادِ گژھِ۔

ڈٲٹُن ۔ن۔مؤل:ڈٲنٹ <س:دَشٹہ ]۔کُنہِ اَتھرِس پٔتھ روب گرُن۔بیم گرُن (یِژھ پٲٹھی شُرس ہیتھ) گرِژنو ژھنن۔

ڈانٛج ا۔م۔ہ:ڈانڈی]۔مورَدس یا بیمارَس ہیتھ ٹٔلنہِ باپتھ کھور وورٲے چارپایہ ہش۔ڈانٛڈی۔سرٕ بیٖر۔

ڈانٛج ۲۔م۔مؤل: ڈانٛج ]۔جوے یا یُن ہیتھ ییمہِ منٛزٕ دال زٕمینَس آب واتان چُھ۔تِہِ زَڈِ وَسنک آرِ ہیوٗ۔

ڈانٛجہِ گرُن ۔سبٹھا: آب ہیتھ ترٛاوِتھ پیر گرُن ۔

۲ ۔( وَرگہٕ پٲٹھی ) یِڈ بٔرِتھ کھیاوُن ۔خوٗب کھیاوُن چاوُن ۔

ڈانٛجہِ گژھُن ۔سبٹھا آب پیٚنہٕ کِنہٕ یا وَسنہٕ کِنہٕ پیرٕ ہیوٗ گژھُن ۔

ڈانٛڈی ۔م۔مؤل:ڈانڈی <ہ:ڈانڈی ]۔اکہِ قٕسمُک پشہِ وورٲے ڈوٗلی ہش یتھ کیتھ بُڈن۔بیمارَن یا لیٖوٕہن ہیتھ اکہِ جایہِ پٔتھ بیٚیِس جایہِ نوان چھ۔ پالکی۔

ڈٲیُم گُن ۔گنٛگ پیٹھُیم حصہٕ یُس ڈیٚنچہ ہوٗر ترٛاونہٕ باپتھ ژومبان چھ۔تالہِ ہوٗر ترٛاونہٕ باپتھ ژومبان چھِ۔تالہِ رٕز تارنہٕ باپتھ گنہٕ کِس پیٹھی مِس ھِسس کوٗرمُت سرٛو۔

ڈِپر ۔م۔مؤل:ڈِپر <ہ:ڈِبھری ]۔ا۔پۆرِد ارشُسترٕ ژزٕٹ ہش یوسہٕ کابلس ستی گنہٕ یوان چھےٚ۔

۲۔ٹینٛوٹُتی ۔ٹینٛو مِنٛیو تپلہِ ژونگ۔

ڈِپَر ۔ن۔مؤل:ڈِپر <انگ:ڈِپَرDipper]۔لاری ہُنٛد یا موٹرٕ ہیتھ ٹیک سُہ آکہٕ ییمہِ ستی بُتھ یوٚونہٕ گاڑٕ ہیتھ اشارٕ دِنہٕ باپتھ گاش کَم تہٕ زِیادٕ کرنہٕ چھُ یوان۔

ڈِپارٹمنٹ ۔ن۔مؤل:ڈِپارٹمنٹ <انگ:ڈیپارٹمنٹ۔Department۔مُحکمہٕ۔اَدارٕ یا کُنہِ بڈٕ اَدارُک اَکھ حصہٕ۔

ڈِپازِٹ ۔ن۔مؤل:ڈِپازٹ انگ:ڈِپازٹDeposit]۔

ا۔یِژھ پٔتھ کانٛسہٕ نِش تھوٚومُت کانٛہہ چیز۔اَمانتھ

۲۔بنٛکس ہیتھ لَنٛدر جمع کوٗرمُت رَقم ۔پیشگی۔ زَرِضمانتھ۔

ڈِپو ۔مؤل:ڈِپوٗ <انگ:ڈِپاٹDepot]۔گُدام ہیتھ ییٚتہِ مال تھاونہٕ تہٕ کنٛنہٕ ییہِ۔

ڈِپٹی ۔(کانٛسہِ اَفسرٕ سُنٛد )۔نٲیِب ۔م:ڈِپٹی سکرٹری۔

ڈِپٹی کمِشنَر ۔کمِشنَر سُنٛد نٲیِب یُس ضِلٕک پوٚرٕ حاکم آسان چھُ۔

ڈِپھر ۔م۔مؤل:ڈِپھر < س:ڈِمپ]۔سۆلرِ گۆسرِ گرُن والبِن ہنز ٹوٗ بِگ۔موٚنڈٕ ج۔ڈِپھیر۔زارٕبن ہنز ٹوٗ بِگ۔دون ژون زٔنِن ہنز چھوکھ یم کانٛسہٕ خلاف پانہٕ وأنۍ ژوے گران آسن۔

ڈِپھرِ لاگنۍ۔بِٹھ لاگنۍ۔

ڈِپھرِ کرنہٕ۔(ورگہٕ)۔سۆسرِ گۆسرِ کرنہٕ۔ژوے کرٕنۍ۔ کانٛسہٕ خلاف سازباز کرُن۔

ڈِجہ بُلہٕ۔ڈِجہ ڈِجہ کرنس لایق شُر۔لوکٹ شُریس ڈِجہ ڈِجہ گران چھِ۔

ڈِجہ ڈِجہ۔ا۔(گنٛدنہٕ پۄٹھۍ)شُر بیترِ اَتھن پیٹھ رٔٹتھ ہیۆر تہٕ ہیۆر لاینٕ۔شُرس اَتھن پیٹھ رٔٹتھ اَبوسے کرُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ)شُرس بیترِ مہامہا کرُن۔خانہٕ ماجر کرُن۔

ڈِجہ ڈِجہ کرُن۔ا۔شُرس اَتھن پیٹھ رٔٹتھ گنٛدُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ)شُرس مہا کرُن۔خانہٕ ماجر کرُن۔

ڈِزأن/ڈِزاین۔ن۔مؤل:ڈِزأن < انگ:ڈِزاین۔ Design]۔ا۔نقشٕک خاکہٕ۔سِلایہٕ بیترِ ہُنٛد نموٗنہٕ۔پلوٗس بیترِ تراونہٕ آمُت نقشہٕ یا خاکہٕ۔ گلکأری بیترِ ہُنٛد خاکہٕ۔۲۔نازنخرٕ۔

ڈِسُر۔سُست۔آلِژھ۔وۄتھنس بیہنس کیٚت گوب۔

ڈِسپینٛسٔری۔م۔مؤل:ڈِسپینٛسٔری < انگ:ڈِسپینٛسٔری] Dispensary۔دواخانہٕ۔سۆ جاے یتہٕ بیمارن دوا بیترِ بنأوِتھ دِنہٕ یوان چھُ۔شفا خانہٕ

ڈِسچارج۔ن۔مؤل:ڈِسچارج < انگ: ڈِسچارج Discharege]۔نوکری نشہٕ برطرفی۔ مُلأزِمتہٕ نشہٕ علاحِدگی۔۲۔چھُٹی دِنۍ (ہسپتالہٕ بیترِ منٛز)۔

ڈِسکہٕ۔ن۔مؤل:ڈِسک < وُچھو۔ڈِکسہٕ]۔نیٚنٛدرِ ژھول۔ ڈِکسہٕ۔

ڈِسکہٕ لگنۍ۔نیٚنٛدرِ ژھولہٕ گژھنہٕ۔

ڈِسمِس۔ن۔مؤل:ڈِسمِس < انگ:ڈِسمِس Dismiss]

ڈِش۔م۔مؤل:ڈِش < انگ:ڈِش Dish]۔قاب۔رِکأبۍ۔ پلیٹ رِکب۔ڈِش انٹینا،یمہٕ ذٔریعہ واریاہ ٹی وی چینلہٕ وُچھنہٕ چھِ یوان۔

ڈِفینٛس۔ن۔مؤل:ڈِفینٛس < انگ:ڈِفینس Defence] مُلکی بچاو۔۲۔حکوٗمتک سُہ صیغہٕ یُس مُلکی بچاوٕک ذِمہٕ وار آسان چھُ۔

ڈِکٹیٹر۔مؤل:ڈِکٹیٹر < انگ:ڈِکٹیٹر Dictator]۔یُس صرف پننی مرضی پیٹھ حکوٗمت چلاوِ۔نہٕ مُطلَق عنان حأکم۔پانہٕ خۆدی حأکم۔یُس نہٕ حکوٗمت چلاونس منٛز کانٛسہٕ راے تراے ہیٚیہ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ)۔ظالم تہٕ سخت گیر حأکم۔

ڈِکسہٕ۔ن۔مؤل:ڈِکس < وُچھو:ڈبکہٕ]پرٕن پیٚون ڈبکہٕ ژمینٛس ستی دِیُن (کانٛسہٕ برٛونٛہہ گنہٕ)۔ ڈبکہٕ پتھر تراوُن۔نیٚنٛدرِ ژھولہٕ۔سجِد۔

ڈِکسہٕ دِنۍ۔پرٕن پیوٗن۔زارٕ پارٕ کرُن۔عاجزی کرٕنۍ۔

ڈِکشنری۔م۔مؤل:ڈِکشنری <انگ:ڈِکشنری Dictionary]۔سو کتاب یتھ اَندر لفظن ہِندی مانے بیترِ ترتیب وار دٔرج آسان چھِ۔لغات۔

ڈِکلیرَ (کرُن)۔<انگ:ڈکلیرَ Declare]۔(ل۔م) اعلان کرُن۔(کرِکٹ کھیلہِ منز) اَڈی بأج گِنڈٕ نأوتھ وأر ختم کرٕنی۔

ڈِگری ا۔م۔مؤل:ڈِگری <انگ:ڈِگری Degree]۔ دیوأنی مُقدمس منز کُنہِ عدالتُک آخری حُکم۔

ڈِگری کھارٕنی۔ا۔مُقدمہٕ ہارناوُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) راہ لدُن۔ٹأنچھ کھارُن۔قصوٗر کھارُن، چھوہ لدُن۔

ڈِگری۲۔م۔مؤل:ڈِگری <انگ:ڈِگری۔ا۔یوٗنیورسٹی ہِندِ طرفہٕ دِنہٕ آمٕژ سَنَد۔۲۔دَرجہ۔کوٗنٛک یا زأوِی یک میٖو۔کوٗنٛچ ترٛاے میٖنہٕ نٛک پیمانہٕ۔ گُنیا۔۳۔حرارتُک میٖو۔دَرجےٚ حرارتھ۔

ڈِگری نٛیٚر۔کُنہِ یوٗنیورسٹی ہٕنٛز بڈرٕچ سَنَد حأصِل کرٕنی۔۲۔عدالتس اَندر رِدأیر کورمٕت (دیوأنی) مُقدمہٕ زیٚنُن۔

ڈِمبرُ گیر۔ن۔مؤل:ڈِمبر <س:ڈِمبہ]۔یڈ۔

ڈِمبرٕ ژٕٹُن۔ا۔یڈ اٚلنُن۔۲(ورگہٕ پأٹھی)۔ترٛہرن کھوژُن۔ وبسرُن۔

ڈِوائیڈر۔ن۔مؤل:ڈِوائیڈر <انگ:ڈِوائیڈ Divider]۔ اکھ قِسمُک پرکار یتھ دوشوٕے طرفو پیوت آسان چھُ تہٕ یمہِ ستیٚ ر کھہٕ بیترِ برابر برابر حصہٕ کرنہٕ یوان چھِ۔جامٹری ہُنٛد اکھ آلہٕ۔

ڈیوٗٹی۔م۔مؤل:ڈوٗٹی <انگ:ڈیوٗٹی۔Duty]۔دفتر بیترٕچ نوکری۔کأم۔کامہِ پیٹھ حأضِر روزنُک فرض۔

ڈِوِجَن۔ن۔مؤل:ڈِوِجَن <انگ:ڈِوِجَن Division]۔حصہٕ علاقہٕ۔ضلع۔۲۔فوجُک اکھ مُشخص حصہٕ۔۳۔(امتحان پاس کرنُک) دَرجہ۔

ڈی۔ن۔مؤل:ڈی <انگ:(D) ڈی اچھر]۔ہا کی گرٛاونڈس منز انگریزی ڈی اچھر چالہٕ سو خاص رٕکھ یمہِ نبر نہٕ گولکی اَتھ ستیٚ بال رُکاوِتھ ہیکہٕ۔

ڈی۔ایم۔سی۔سُہ اکھ خاص پَن یمہِ ستیٚ کروشیا کأم بیترِ چھِ کران۔

ڈی۔ڈی۔ٹی۔ن۔مؤل:ڈی۔ڈی۔ٹی <انگ D.D.T] کیمیکل زُل مارنُک اکھ دَوا۔

ڈیٚپھرٕ۔م۔مؤل:ڈیٚپھر]۔وُچھو "ڈیٚپھر"۔

ڈیٚنٛٹ۔لوکٹ ڈیٚنٹُن۔لوکٹ کمر بند یا ہلکہٕ گنڈ۔

ڈیٚنٛج۔م۔مؤل:ڈیٚنٛج]۔لوکٹ ڈیوٗنگ (پنگ یا بیرُک بیترِ) ڈٲٹھی چالہٕ وٕڈلمٕٹ پَن۔

ڈیٚنٛج کرٕنی۔اَندر رَمَن پھٕنٛج ہش وٕٹنہٕ نٛیٚر۔یڈ اَندر پھٕنٛج ہش ھٕنٛنی۔

ڈیٚنٛج کرٕھنی۔لوکٹ ڈیوٗنگ ہیوٗ ڈٕنہٕ یُن پھٹل کرٕھن۔

ڈیٚنٛجہِ تلٕی اَنُن۔یہ وونمُت آسہِ یتھ ادلہٕ بدٕل لاگُن۔ کأنسہِ گٕنٛھن وٕنٛھتھ مانے دِیُن۔کوٚر رٕژن۔

ڈیشِجہِ تٕلی پَن تہٕ پَنہٕ تٕلی ڈیٚنج ۔ تہٕ ڈۄپتھ گو آٹک پاٹک ڈۄپتھ برابری اَتھی ۔ یہ چھِ تمہِ وِزِ وَنان ییلہِ کانٛہہ پَرخاش کَرن وِزِ پۆز زباوِنہٕ بَدَل اوُرک یوُرک وَنہٕ تہٕ پٔنٛنی کَنۍ برابری اَنہٕ ۔

ڈیڈو ۔ن ۔ مۆل: ڈیڈو <انگ: Dado] ۔ ڈۆکھس تام لَبن دِنہٕ آمُت لُکُر، سیمنٹ یا روغن بیترٕ یک حاشیہِ ۔

ڈیڈی ۔م ۔ مۆل: ڈیڈ <م ۔ ہ: ڈیوڑھی] ۱۔ مَندورِ بیترِ ہُنٛد نیبرِ یم بۆڈ دَرواز بَرَن ۔ اَڈنِک نیرنک بۆڈ دَرواز ۔ ۲۔ کانٛہہ ہِنٛدِ سوا گتہٕ باپتھ سَڑکہِ سَجاوِنہٕ مۆجب بناوِنہٕ آمُت مِحراب ۔

ڈیڈی وان ۔ ڈیڈ پیٹھ رأچھ ۔ یَسُند کار ڈیڈِ پیٹھ روٗزِتھ نَظَر گُذر تھاوٕنۍ آسہِ ۔

ڈینٛگہِ میر ۔ن ۔ مۆل: ڈینٛگہِ میر] ۱۔ گامُک موقدَم ۔ گامُک زیٹھ ۔ ۲۔ یُس نِگر کھوژ ناوِ ۔ نِگر روبَس تَل تھاوِ ۔

ڈینٛگہِ میر لاگُن ۔ کانٛہہ روبَس تَل تھاوُن ۔ نِگر روبہِ داب لاگُن ۔ نِگر زِٹھل ہاوٕنۍ ۔ جُنگہِ لاگُن ۔

ڈٹھ ۔ گستاخ ۔ بَدلحاظ ۔

ڈِس ۔ن ۔ مۆل: ڈِس <م: بَنگالی ۔ ڈُھسا ۔ مراٹھی: ڈھوسا سا] ۱۔ ڈَنٛڈ (ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ) ۲۔ یُس زیادٕ کھیتھ اُکی سے جایہِ بیٚتھ گژھِ بیوال ۔

ڈِس دِنۍ ۔ (ڈَنٛڈ وٕستی) چوب دِنۍ ۔

ڈِس گژھُن ۔ کھیٚپے کھیٚپے موٗتُن ۔ اُکی سے جایہِ بیٚتھ گژھُن ۔

ڈُباوُن ۔ن ۔ مۆل: ڈُباو <س: بُرڈَنہٕ (پھر تھر کرِتھ) ۔ ۱۔ آبَس پھٹہٕ وُن ۔ تَل کرُن ۔ ۲۔ (وَرگہِ پأٹھی) ۔ تَباہ کرُن ۔ وُجاڑ کرُن (گاٹہٕ بیترِ پأوِتھ) ۔ ۳۔ بَدنام کرُن ۔

ڈُبہِ ڈاس ۔ن ۔ مۆل: ڈُبہِ ڈاس] ۔ ناش ۔ تَبأہی ۔ بَربأدی (بُزلہِ یا سألابہِ بیترِ ستی) ۔ [ کرُن ۔ گژھُن] ۔

ڈُبُن ۔ن ۔ مۆل: ڈُب <س: بُرڈَنہٕ (پھرتھر کرِتھ] ۔ ۱۔ آبَس بیترِ پھٹُن ۔ بوڈُن ۔ آبَس تَل گژھُن ۲۔ کُنہِ خیالَس مَنٛز مَحو گژھُن ۔ کُنہِ پیٹھ سَخ پأٹھی سوچُن ۔ ۳۔ گوناہ بیترِ سُری پیٹھی گژھنی ۔ ۴۔ (وَرگہِ پأٹھی) ۔ تَباہ گژھُن ۔ بَرباد گژھُن (کارِ بارَس اَنٛدر رگاٹہٕ بیترِ پینہٕ کِنۍ) (قرضس بیترِ) ۔ تَل لَگُن ۔ تِتھ حالتھ گژھنی ییمہِ مَنٛزٕ نیٚہ وو تلتھ ہیکہِ ۔ تَباہ گژھُن ۔

ڈُب ڈُب ۔ن ۔ مۆل: ڈُب <آوازِ پیٹھ] ۔ تُمبکھ نأریا ڈاپر بیترِ وانٛژ آواز ۔

ڈُپٹہ ۔ ڈُپٹہِ ۔ن ۔ مۆل: ڈُپٹ <س: دوٕ + پٹہ] ۔ وو ڈِیٚج ژادَر ۔

ڈُٹھے ۔م ۔ مۆل: ڈُٹھے ] ۔ پان پَتھر ترٛاوُن ۔ شونٛگ ترٛاوٕنۍ ۔ (وَرگہِ پأٹھی) بیٚچھ وٕنۍ سُنڈ ڈامب ۔

مُکھر۔ چانگہٕ۔

ڈُٹھے ترٛاوٕنۍ / لاگنۍ۔ پان پَتھر ترٛاوُن۔ ودلہٕ مارُس پیٹھ روزُن۔ چانگہٕ لاگُن۔ ڈامب ترٛاوُن۔

ڈُٹھے ترٛاوِتھ بہن۔ وِچھو "ڈُٹھے ترٛاوٕنۍ"۔ (ورگہٕ پاُٹھۍ) تِتھے پاُٹھۍ ڈامب لاگِتھ روزُن۔

ڈُڑٕ۔ ن۔ مؤل: ڈُڑ]۔ یُس پرٛژھنے گارنے سالُس آمُت آسہٕ۔ بےٚ سالۍ۔

ڈُڑٕ گی۔ ڈُڑٕسُند ہیوٗ طورطریقہٕ۔ بےٚ مَند چھ پاُٹھۍ سالُس یُن۔

ڈُسہٕ۔ مؤل: ڈُس حم۔ بنگالی: ڈُھسا]۔ بیہوال۔ آلرٛشی۔ کامہٕ ژوٗر۔

ڈُسُر۔ سُہ شُریُس یُس آسہٕ دزاہِش۔ یُس پھوکہ آسہٕ۔

ڈُکرُن۔ ن۔ مؤل: ڈُکرن]۔ اوٗگُن تیز راونہٕ باپتھ سیٚخ یا ٹرُن۔

ڈُل۔ ن۔ مؤل: ڈُل]۔ ؤے بیترٕ چھلنہٕ باپتھ اکھ گلہٕ کھوٚل ژُکو داربانہٕ۔

ڈُلی برٕنۍ۔ بٹن ہُند اکھ رٕسم یتھ منٛز تم پھاگنہٕ گٹہٕ پچھہ کاُش دوہہٕ باروَن ہِندِ ناوۍ ڈُلس منٛز پوش بیترٕ بران چھ۔

ڈُلی پرٛاُپین۔ ہیرٕ ژ دوہہٕ ڈُلس منٛز تھونہٕ آمُت دیہ ہِندۍ ناوۍ کھینہٕ باو۔

ڈُلی گرٛھنۍ (ورگہٕ)۔ بوچھِ ستۍ یُس کھَن گوھنۍ۔ سیٚخ بوچھ لگنۍ۔

ڈُل پوٗزُن۔ بٹن ہُند اکھ رٕسم یتھ منٛز تم ہیرٕ ژ ہِندِ بن دوہن ڈُلس پوٗزا کران چھ۔

ڈُلاے۔ م۔ مؤل: ڈُلاے حہ: ڈُھلایی]۔ سامانہٕ (خاص گرتھ لدٕ باپتھ) سارنٛچ کام یا موٗزوٗرۍ۔

ڈُلج۔ ۱۔ لوگُٹ ڈُل۔ ۲۔ (ہزلہٕ پاُٹھۍ)۔ سوٹولِہ یتھ کھزوب آسہٕ گوٗمُت۔ ۳۔ گرٛہسی پاُٹھۍ کُنہٕ کُنہٕ انگر پرٛزی ٹوپہٕ تہٕ وَنان۔

ڈُلہٕ۔ ن۔ مؤل: ڈُل حپرٛاکرِت: ڈُلہ/س: دولہ]۔ ۱۔ گول گنۍ بیترٕ یوسہٕ وَلگتھ کھیٚیہ۔ ۲۔ تہٕ یہٕ وَلگتھ کھبتھ تھزرِ پیٹھ وَسہٕ۔ وَلگتھ وَسی پنٛچ حالتھ۔ ۳۔ ہگر۔ پیہ۔ اکہٕ قسمُک موٗٹ ہرٛی کوٗر۔

ڈُلہٕ ترٛاوُن۔ ۱۔ (تھزرِ پیٹھ) وَلگتھ کھوان بون ترٛاوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاُٹھۍ (کُنہٕ مالُس) زاُنتھ ماُنتھ زِگھر دیُن۔

ڈُلہٕ ژھنُن۔ وِچھو "ڈُلہٕ ترٛاوُن۔ مانےا۔

ڈُلہٕ کوٗٹ۔ موقہٕ وِچھتھ پننہٕ غرضہٕ باپتھ طریقہٕ بدلاوَن وول۔ موقہٕ پرست۔

ڈُلہٕ کوٗٹ ترٛاوُن۔ گوٗش دیُن۔ ڈُل کاولاگُن۔

ڈُلہٕ کوٗٹ لاگُن۔ موقہٕ وِچھتھ پننہٕ غرضہٕ خاطرٕ طریقہٕ بدلاوُن۔

ڈُلہٕ گرٛھن۔ ۱۔ وَلگتھ کھوان پننہٕ جایہٕ پیٹھ ڈَلُن یا پیون۔ وَلگتھ کھبتھ تھزرِ پیٹھ وَسُن۔

۲۔ ہیٚتھ لگٕنۍ۔ گال کھاتَس گژھُن۔ مِ: کَتھ گَیہٕ ڈُلہٕ۔

ڈُلہٕ گُن/گوٚن ۔ن۔ مۆل: ڈُلہٕ گن <س: دولَہ + گَمنہ]
۱۔ پُتھرِس پیٚٹھ یا بسترَس منٛز) تھُرُنگ۔ وَلگَتُن۔ لَرِ
پھیُر۔ لَرِ پھرُن ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ڈابھ۔ پان
تژ اوُن۔

ڈُلہٕ گُن دیُٛن ۔ ۱۔ پُتھرِس پیٚٹھ وَلگتُن دِوان اَکہٕ
جایہٕ پیٚٹھ بیٚیِس جایہٕ گژھُن۔ تھُرگُن دیُٛن۔
۲۔ تھُرگُن دِتھ دُیہٕ پھیرُن ۔۳۔ (وَرگہٕ)۔ واڈنشہٕ
ڈَلُن۔ وادس پھیرُن ۔۴۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کاڈ
بارَس ہیٚیہٕ ژُواڈُن۔

ڈُلہٕ ناوُن/ڈُلہٕ وُن ۔ن۔ مۆل: ڈُلہٕ ناو <س: دولَہ]
۱۔ (پَل یا کوٹ بیترِ) پُتھرِس پیٚٹھ لَرِ پھِری
پھرِی پَکہٕ ناوُن۔ دَکہٕ دی دی کھکھرِ پکہٕ ناوِتھ
وَلگتُن کھیٚناوناوُن۔ ۲۔ بالَس یا لبرَس بیترِ ڈُلہٕ
تژاوُن۔ ۳۔ (نیٚندرِ ہوٚت وُزناونہٕ باپتھ)
اوریور پھِ، پرِناوُن۔

ڈُلٕنۍ دِنۍ ۔ ۱۔ ڈُلہٕ گُن دیُٛن۔ لَرِ پھرُن دیُٛن ۔۲۔ ڈابھ
تژاوُنۍ۔

ڈُلنگ ۔ن۔ مۆل: ڈُلنگ]۔ ڈابھ۔ آرام۔

ڈُلُن گژھُن ۔ اڈلیوک گژھُن۔ ناٹھ پیاو گژھُن۔
اَتھ گژھُن۔

ڈُلوم ۔ن۔ مۆل: ڈُلام <ژُچھو۔ ڈُلہٕ]۔ گول آرِ شکلہٕ۔
م: ڈُلام۔

ڈُلی بڑ آر ۔ بُل۔ دوکھ۔ اُچھَن کُچھ۔

ڈُلی بڑ آر کرٕنۍ ۔ دُنیٚب کرِتھ پھَش لَد کرُن۔ اُچھَن
کُچھ ژھنُن۔

ڈُلی بڑ آر گژھنۍ ۔ پھڑِنۍ۔ ظون نہٕ روز نہٕ کَنۍ کُنہٕ
نِشہٕ پھَش لَد گژھُن۔

ڈُم ڈُم ۔ن۔ مۆل: ڈُم ڈُم <س: ڈِنڈِ مَہ]۔ ۱۔ نگارٕ۔
ڈول ۔۲۔ ڈوٚچ یا نگارٕ چ آواز۔

ڈُنگ ۔م۔ مۆل: ڈُنگ]۔ آبَس منٛز دیُٛتمت دَم۔

ڈُنگ دِنۍ ۔ (وَرگہٕ) کھٹِتھ روزُن۔ ژھیپھ دِنۍ۔

ڈُنگُل ۔ ۱۔ ڈُنگ دِنہٕ وول ۔۲۔ یُس آبَس گومُت
کانٛہہ چیز دَم دِتھ کھارِ ۔۳۔ یُس واریاہَس
کالَس آبَس تل روٗزِتھ ہیٚکہٕ۔

ڈُنگہٕ ۔ن۔ مُل: ڈُنگ <پڑاکرِت: ڈونگی۔ ڈونٹھ]
زیٚٹھ ڈُچھ کرِتھ ناویوسہٕ سائلَس بیترِ گژھن
والین کرایہٕ پیٚٹھ دِنہٕ یوان چھےٚ تہٕ یتھ منٛز تم
رَنان کران تہٕ چھِ۔

ڈُنگہٕ ہانٛز ۔ ڈُنگہٕ وول یُس کرایہٕ پیٚٹھ ڈُنگہٕ دِیہٕ۔

ڈُو ۔ن۔ مۆل: ڈُو <س: دھوٗ]۔ ۱۔ لَڑِھلی پھَش۔
۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) پھُنڈِ۔ پھَش۔

ڈُودیُٛن ۔ پھَش اَنُن۔ تباہی کرٕنۍ۔ یَکدَم سَر بَسَر
ہتھ ژَلُن۔

ڈُولگُن ۔ ۱۔ پھَش پھیرُن۔ سَر بَسَر غائب گژھُن۔
۲۔ کانٛہہ چیز سَخ منگ آسنہٕ کَنۍ نایاب گژھُن۔

ڈُوِنۍ ۔م۔مۄل: ڈوٗنۍ <وُچھو: ڈُون]۔ا۔لَرِ ژھج۔لوٗکُٹ لرُھل۔۲۔پھَشہٕ کون۔پھُنڈٕری۔

ڈُوِنۍ دِنۍ ۔سورُے ہیتھ ژٕلُن۔پھَش اَنُن۔ناپوٗد کرُن۔تبٲہی کرٕنۍ۔

ڈُوِنۍ لگنۍ۔پھَش یُن۔ڈُولُن۔

ڈُون۔ن۔مۄل: ڈُو <پراکرت: ڈُھوَنہٕ۔س: دھوٗ]۔
ا۔(لَرِ ھلہِ بیترِ سٕتۍ) پھَش دیُن۔ژھوٹھ بیتر لَرِ ھلہِ سٕتۍ وٹُن۔ٹلتھ نیُن۔۲۔وَرگہٕ پٲٹھۍ) سورُے کیٛنہہ ہیتھ ژٕلُن مُہتھ نیُن۔

ڈُوَن پھَش۔پیٹھۍ پیٹھۍ دِنہٕ آمُت لَرِ ھلہِ سٕتۍ پھَش۔

ڈوٗر۔ا۔ن۔مۄل: ڈور]۔لوکُٹ زمینہٕ ژکل یتھ اَنٛدر سَبزی یا پوش بیترِ وَوان چھِ

ڈوٗر۲۔م۔مۄل: ڈور <س: ڈُورَ]۔وِٹھتھ یا وٕنتھ بنٲوِمژٕ سٕتھر ورزیٖمہٕ سٕتۍ بیز ار گنڈان چھِ۔

ڈوٗر۳۔م۔مۄل: ڈور <س: ڈُورَ]۔ا۔پھوٚتس یا کانٛگرِ بیترِ نیٚبری کنۍ کھارنہٕ آمُت کانٛہن ہُند حاشیہٕ۔
۲۔(ژادرِ بیترِ ہنٛز) گنٛڈی۔

ڈوٗری خاصہٕ۔زٲوِجہِ مَلمَلہِ ہنٛز دَشہٕ دار پوٗژ۔

ڈوٗگری۔ڈوٗگرَن ہنٛز زبان۔

ڈوٗگر۔ن۔مۄل: ڈوگر <؟س: دوِ+گرتہٕ]۔جیٚمی علاقُک اَصلی باشنٛدٕ۔م: ڈوٗگرٲنۍ۔

ڈوٗلِکۍ۔م۔مۄل: ڈولِکۍ <ہ۔: ڈھولکی <س: ڈھولِکا]۔ اَتھہٕ سٕتۍ وایِنک لوکُٹ ڈول اَکھ ساز۔

ڈوٗلی۔م۔مۄل: ڈولی <س: دولِکا]۔(یِژٕ پٲٹھۍ مہر تہٕ ہِنٛد باپتھ)۔اَکھ قسمٕچ پَردٕ دار سوٲری یوسہٕ نکھَن پیٹھ تُلنہٕ یوان چھےٚ۔زنانہٕ پانہٕ۔

ڈولہٕ کہار/کہر۔ڈوٗلی نکھَن پیٹھ تُلَن وٲلی۔

ڈوٗلی وانٛگُن۔(وَرگہٕ) ژھوٹیگہٕ یُس جِتہٕ گوٚر آسہٕ۔

ڈوٗمب۔ن۔مۄل: ڈوٗمب <س: ڈوٗمبہٕ]۔ا۔اَکھ ذاتھ یوسہٕ وُستھ پایہِ مانٛنہٕ اَس یوان۔۲۔(وَرگہٕ پٲٹھۍ) کم ذاتھ۔۳۔گامَس منٛز گیٖن رٔچھن وٲلِس تہٕ وَنان۔

ڈوٗمبا جیچیر۔اَکھ شُری کھیل۔

ڈوٗمبا جیچیر صاحب تیار۔وَنہٕ نَس تہٕ گرنَس نہٕ تاٚرے تھوٚنۍ۔تہٕ دٕیتھ گوکام موکلاونَس نہٕ تاٚرے دِنۍ۔

ڈوٗمبہٕ جیچیر۔(وَرگہٕ) یُس گرٕ یتھ گرٕ پھیران آسہٕ یَس سارنُے ہِنٛد سرچ خبر آسہٕ۔یُس سارِنُے ہِنٛد بن رازَن واقف آسہٕ۔م: تِلہٕ وٲر۔

ڈوٗمبہٕ دبگل۔(ہزلہٕ) بُڈ لیٚج یتھ اَنٛدر رواریاہ چیز اَکھ اَکِس پیٹھ سُتھ رَنہٕ ین۔

ڈوٗمبہٕ ڈگر۔(وَرگہٕ) ژوٗرَن تہٕ ٹھَپلن ہنٛز موٗنڈٕج۔

ڈوٗمبہٕ شُربن کھوکہٕ بڑٲری۔تہٕ دٕیتھ گوتَس روب تھوٚن یَس نہٕ وبڑٕلنے آسہٕ۔بےٚ فائدٕ کرو بہٕ داب۔

ڈوٗمبہٕ گٹھ۔(وَرگہٕ) کھوٚر۔رٕ ذیلہٕ۔

ڈوٗمبہٕ کانٛگر۔بُڈ کانٛگر یتھ واریاہ ژٕنہٕ واتن۔

ڈوی مبہٕ گی/ڈوٗمبل۔<وُچھو ڈوٗمب]۔ڈوٗمبہٕ سٕنٛدی

ہی اَطوارتہٕ گرتوتھ۔

ڈۄن۔ن۔مۄل: ڈۄن <س: وڑونہ]۔ اَکھ گولر دار میٛو۔

ڈۄنۍ گولُر۔۱۔ڈۄنۍ کنٛجہِ ہُند دبل۔۲۔ ڈۄنٛج پیالہٕ چالہٕ گنڈ۔

ڈۄنۍ بچہٕ کاٗم۔ ڈۄنۍ لٔکرِ پٮ۪ٹھ نقش بیترِ کھنہٕ چ کاٗم۔ وُڈکاروٗنگ۔

ڈۄنۍ ہٹ۔ ڈۄنۍ کلیچ لٔکر۔ یتھ میز کرسی بیترِ بناوان چھےٚ۔

ڈۄنۍ گس دَچھ گس۔ (وَرگہٕ) ٹلہٕ کھکھر۔

ڈۄب۔ مۄل: ڈۄب <م: پنجابی۔ ڈبا۔ ہ: دھبا]۔ ٹیٛچہ ہور۔ یتھ نچہ ٹیٛچہ ہشہٕ آسَن۔

ڈۄچ۔ن۔مۄل: ڈچ <م۔ہ: مراٹھی۔ ڈوکرا]۔

ڈوچُر۔ گمبرِس ژامت ڈوکھ۔

ڈۄچ ترٛاوُن۔ گمبرِس ڈوکھ ژانُن۔ وُچھو ''ڈوچُر ترٛاوُن'' تہٕ۔

ڈۄچ ڈۄچ کرُن۔ لنگان لسان پکُن۔ پڈُر پڈُر دیُن۔ ڈوچُر ڈوچُر دیُن۔

ڈوکھ۱۔ن۔مۄل: ڈۄکھ <وُچھو۔ ڈُچھ]۔۱۔ سہ چیز یتھ ستیٚ تھر دِنہٕ یِیہ۔ بۄڈ شاندٕ گونڈ تکیہ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھۍ)۔ مدتھ۔ اتھہٕ روٗٹ۔ ۳۔ (کاٗنسہِ ہُند) آسرٕ۔ سہارٕ۔

ڈوکھ دِتھ بِہُن۔۱۔ (وَرگہٕ) بےٚ کار بِہُن۔ فرمرٕ وُٹھتھ بِہُن۔۲۔ سار بےٚ فِکرِ موکلتھ ووشو کڈُن۔

ڈوکھ۲۔ن۔مۄل: ڈکھ]۔ گاسہٕ پنٛج، یوسہِ شِکارِ یا بہاژِ بیترِ ژھبدُنس ترٛاوان چھِ۔ ناوِ ہُند ژھبدُن۔

ڈۄمب۔ن۔مۄل: ڈمب <س: ڈِمبہ]۔۱۔ میٛادٕ۔ اَنٛٹہٕ واٹھ بیترِ۔ بوس۔۲۔ اَولاد۔ شُر۔

ڈمبیک۔ پاٛنس ژامت (شُر) یُس نہٕ منگتہٕ یاوِرآسہِ۔

ڈۄمبی پھلِل/ ڈمبی پھلِل۔ سہٕ شُر یُس ماٗلِس ماجہِ اِڈاہ واتناوِ۔ (وَرگہٕ) کوٚ پھچکل شُر۔ رٕذیلہٕ شُر

ڈۄمبی دود۔ شُرِ ہنٛز ربہٕ۔ (ماجہِ ہنٛز) مالےٚ۔

ڈۄمبی ژَپھ/ ڈمبی ژَپھ۔ (وَرگہٕ) اَولاد۔ شُر۔

ڈۄمبی کلپُش، ڈمبی کلپُش۔ ڈۄمب تہٕ اَنٛدرم بیترِ۔ نوٚہتہٕ ڈمبی نہٕ۔

ڈۄمبی (ڈمبی ویر گلہٕ کڈ یر۔ تہٕ ڈِپتھ گوشُرِ ہنٛدِ مارٕ متہٕ چھِ کم کم تکلیف برداش پوان گرٕنی۔

ڈۄمب پھاٹہٕ وُن/ کڈُن۔۱۔ یڈ پھٹتھ تمہٕ منٛز اَنٛدرم بیترِ کڈٕنی۔۲ (وَرگہٕ) سخ لاییُن۔ دَگہٕ مار گرُن۔

ڈۄمب چھلُن۔ (وَرگہٕ) کاٗنسہٕ نِشہٕ گتھ کڈٕنی۔ گتھ گتھہِ منٛزے کاٗنسہٕ نِشہٕ سرِ کڈُن۔

ڈۄمبی کاٹُل/ ڈمبی کاٹُل۔ دولہٕ گریمہٕ پٔشس تل وُتھر بن پٮ۪ٹھ لاگنہٕ یوان چھےٚ۔

ڈۄنڈ۔ ڈبہ ہُند یا ٹاورک جٔگلہٕ۔

ڈۄنڈۄر۔ن۔مۄل: ڈونڈۄر <ہ: ڈھنڈورا]۔ ۱۔ پارےٚ۔۲۔ نگار یتھ پارے دِنہٕ وِزِ ژٔنڈ کڈان چھِ۔ ڈم ڈم۔

ڈُنڈ ڈُرِ دیُن ۔پارٕ ے دِنۍ ۔نگار وأے وأے اعلان کرُن۔

ڈونگ ۔ن۔مؤل:ڈنگ ]۔۱۔چۆکہ ۔تھزرس ییٚنٛ جاے۔۲۔گانٛچ جاے۔۳۔گُلس بیترِ پٕٹھ بنأوِمُت چۆکہ ہش یَتھ پٕٹھ بہِتھ کھلَس بیترِ رأچھروزان چھِ یا یَتھ پٕٹھ کھٔسِتھ شِکأرۍ شِکار کران چھِ۔

ڈٔنگۍ ہیہ۔۱۔(ورگہ)۔پٔنہٕ جایہ بہتھے بُہوُدرۍ تھکِن وول۔مُلہٕ تلہٕ بُزدل دِل۔م: گرغنٛڈٕ۔

ڈوٹھ ۔ن۔مؤل:ڈوٹھ ]۔ششرٕ ستۍ لگِتھ گأمتِن روُدِ قطرَن ہنٛز جُری۔

ڈوٗٹھی گژھُن ۔۱۔فصل یامیوٚ بیترِ ڈوٹھ پینہٕ ستۍ خراب گژھُن۔۲۔(ورگہ پأٹھی) میچھتھ ضایہٕ گژھنی۔ میچھٕنس نہٕ موٚز زۆرۍ بنُن ۔کرِتھ کرُأوِتھ راوُن۔

ڈوٹھِ چھول ہیوٚ۔(ورگہ) یُس ژھری گٔتھ پٕٹھ تھوٚد گژھِ ہ ڈِتھی ڈِتھی ۔یُس جَل شرارتھ کھسہٕ۔ یُس اُگادِ گژھِ ہ۔

ڈور ۔ن۔مؤل:ڈور < مُ۔ہ:ڈورا]۔سوژ مینہٕ ڈج یَتھ سنبر آسنہٕ کنۍ آب سمان آسہٕ۔

ڈورِ ۔ن۔مؤل:ڈور < س:ڈورَ ]۔۱۔موٚٹ پَن۔ ۲۔یوٚنہٕ۔یوٚنہٕ ہیوٚ موٚٹ پَن۔۳۔بِسلایہ ہُند پَن۔۴۔پَن یَیمہٕ ستۍ گانٹہٕ بزار تژ اوان چھِ۔

ڈورِ تژاوُن ۔۱۔گانٹہٕ بزارِ پَن تژاوُن ۔۲۔(ورگہ پأٹھی)۔کأنسہٕ پھساوِنہٕ باپتھ آیہ گژلیہ کرنہٕ۔ ٹُورتژاوُن۔

ڈورِ دیُن ۔۱۔رزلیہ تژاوِنۍ ۔زٕ ہتھ رز تژاوِنۍ ۔رزنہٕ چأرتھ رٔٹنۍ (گانٹہٕ بزارِ بیترِ)۔۲۔(ورگہ پأٹھی) یلہٕ گِتھوِنۍ ڈیج تژاوِنۍ (پھساوِنہٕ باپتھ)۔

ڈورِ کأنۍ ۔م۔مؤل:ڈورِ کانی]۔رانتہٕ موغلہٕ ہنٛز مادٕ۔ رانتہٕ موغٕج۔

ڈوز ۔ن۔مؤل:ڈوز < انگ: Dose]۔دَوا خوراک۔ دَوا ڈٔنگ۔

ڈول۱ ۔ن۔مؤل:ڈول < ہ۔ڈول]۔۱۔گرِنۍ۔ گرِتھ۔ بناوٹھ۔۲۔چال۔آے۔طریقہٕ۔انداز۔

ڈول دار ۔یَتھ جان گرتھ یا بناوٹھ آسہٕ۔یہٕ یا یُس شکلہِ کنۍ جان باسہٕ۔

ڈول۲ ۔ن۔مؤل:ڈول < س:ڈھولَہ]۔وایِنک اکھ ساز۔ بسہٕ لأگتھ اکھ ساز یُس لورِ ستۍ وایان چھِ۔

ڈول۳ ۔ن۔مؤل:ڈول < س:ڈھولَہ]۔بٔکہ۔تولہٕ وور۔ کژیر منٛز آب کھارنک بانہٕ۔

ڈولہٕ ناوُن ۔ن۔مؤل:ڈولہٕ ناو < س:دوااینم ۔۱۔کُنہِ اِستیمالس نہٕ لاگُن۔کانہہ کأم نہٕ یینٛز۔ چیزَس بیترِ بےٚ قدری کرناوِنۍ۔(کُنہِ کامہِ نہٕ لأگتھ)۔ ۲۔ہزارِ ناوُن۔

ڈولُن ۔ن۔مؤل:ڈول]۔۱۔سرڈگ آسنہٕ کنۍ بےٚ قدری

گژھنۍ۔ کُنہِ بارَسس نہٕ اَنہٕ یُن۔۲۔ماٗلکھ نہٕ
لاگنہٕ یکنۍ بےٚ کارروزُن۔ اٚتی روزُن۔
۳۔کھاندرٕ رادِ ؤ زِتھ گژھن۔کھاندرنہٕ بٔنن۔

ڈولنہٕ۔ن۔مؤل:ڈولن <س:ڈھولَہ ]۔ا۔ڈولہٕ چالہِ
بَناونہٕ آمُت اکہِ قسمُک وَس یُس رَز گٔرِتھ
ہُنٛس اَلونٛد ترٛاونہٕ یِوان چھُ۔۲۔تاٗویزٕس گرنہٕ
آمُت ڈولہٕ چالہِ روپھ بیترِ داتُو گرِ یُس رَز
گٔرِتھ ناٚلۍ ترٛاوان چھِ۔

ڈولنہٕ مال۔رَز گٔرِتھ وار یاہڈولنہٕ یم ناٚلۍ ترٛاوان چھِ۔

ڈونہٕ۔ن۔مؤل:ڈون <س:دڑونَہ ]۔کھبل ؤتھر
بیترِ یتھ کیتھ کھینہٕ چیز رٚٹان چھِ۔

ڈونٛگ۔ن۔مؤل:ڈونٛگ <ہ۔:ڈھونٛگ ]۔ا۔اُپُز
ہاوباو۔دوکھہِ دِنہٕ باپتھ نیٚبر یُم بٔجر پاگھنڈ۔

ڈونٛگہٕ۔ن۔مؤل:ڈونٛگ < س:دڑونکہ/ پڑاکرت
:ڈونٛگی]۔رِکابہٕ چالہِ اکھ بانہٕ یتھ اَندر رٔنِتھ
سیٚن بیترِ تھوان چھِ۔

ڈوچر۔ن۔مؤل:ڈوچر <وُچھو:ڈؤچ ]۔ڈوکھ۔بٔجر
(گُمبرٕس بیترِ)۔کوٚب۔

ڈوچُر۔ن۔مؤل:ڈوچر <وُچھو۔ڈؤچ]۔ا۔ڈوکھ۔بٔجر
(گُمبرٕس بیترِ)۔کوٚب۔۲۔گُمبرٕس ڈوکھ آسنہٕ
یکنۍ وارِ وارِ پٔکُن۔

ڈوچَر ترٛاوُن۔ا۔ڈؤکھ دیُن۔۲۔کانٛسہِ پٔتھ آش
تھٲوِتھ پانہٕ لوٚب کٔن بہُن۔

ڈوچُر ترٛاوِتھ بہُن۔ا۔گُمبرٕس کوٚب کڈِتھ لمباسہٕ
دیُن۔۲۔(وَرگہٕ پاٗٹھی)۔کُنہِ کامہِ بیترِ نِشہِ
لوٚب ہیوٚن۔۳۔بےٚ فِکر لاگُن۔

ڈوچُر ڈوچُر دیُن۔ا۔کوٚبۍ ہنٛدی پاٗٹھی پکُن۔
۲۔وارِ وارِ پکُن (سَخ تھکنہٕ یکنۍ)۔۳۔کُنہِ کامہِ
بیترِ اٗرۍ زیر ادِنۍ۔

ڈوڈ۔ن۔مؤل:ڈوڈ <س:دوٚ + اَردھ ]۔اَکھتہٕ اوٚ ڈ۔

ڈوڈِ گژھُن۔<ڈوڈہ(اکہِ قصبُک ناو )]۔(وَرگہٕ)
راوُن ہیوٚ۔یکھنۍ نہٕ تگُن یا فِکرِ ترٛن ۔ وَتہِ
راوُن۔دَربدَر گژھُن۔وٲران گژھُن۔

ڈوسر۔ا۔داں ڈورہن منٛز اَکھ کیٚمی ذاتھ۔۲۔سوٗئٹ
یَس یڈ پھوکھ آسہِ۔

ڈوسُر۔ن۔مؤل:ڈوسر]ا۔بٔتھ۔کھروٗپ۔۲۔کوٚب۔

ڈوسُر اَٹھُن۔ا۔بٔتھ اَٹھُن۔کھروٗپ اَٹھُن۔
۲۔کوٚب نیرُن۔گُمبر دوگُن گژھُن۔

ڈوٗکر۔م۔مؤل:ڈوکر]۔تہِ کیٚنژھا ییمہِ ستۍ کاٗم اَڈوَتی
روٗزِتھ گژھِ۔ٹھونٛٹھ۔رُکاوٹھ ییمہِ ستۍ وَتی ڈوکہٕ۔

ڈوکر گرٕنۍ۔وَتی ڈوکراوُن۔ٹھونٛٹھ اَنٛتھ اَڈوَتی
روٗٹہ کٔرُن۔

ڈوکر گژھنۍ۔اَڈوَتی روٗزِتھ گژھُن۔کامیاٗبی نشہِ
مَحرُوم روزُن۔ناکام گژھُن۔

ڈوگُر۔ن۔مؤل:ڈوکر]۔وُچھو دوگُر۔

ڈوگُرڈوگُر دیُن۔وُچھو" ڈوچُر ڈوچُر دیُن "۔

ڈوگُن۔ن۔مول:ڈوک حۆچھو ڈوکھ]۔ا۔ڈوکھ اَژنی۔ہۆل گرٛھُن (بانہٕ ہیتۭر)۔۲۔ چھوٗنُن۔کم گرٛھُن۔
۳۔اَڈوَتی روزُن۔پوٗر مقاصس نہٕ واتُن۔م۔
سہٕ ڈوکیو ووتی۔۴۔کانٛہہ کام پوٗرٕ کرنٕس منٛز ناکام گرٛھُن۔

ڈوکھ۔م۔مؤل:ڈوک حم۔مراٹھی۔گُجراتی:ڈوکرا]۔
ا۔بٹھ۔کھرٛوپ یاور(بانٛس ہیتۭر)۔۲۔گمبرٕس ہیتھ گومُت ہجَر۔

ڈوٕگری مَل۔کھٕھس اَندٕر آبہٕ کھوڈٕن ہُند مَل یُس پاٛش ژمینہٕ ترٛاوان چھِ۔

ڈوگُرا۔ن۔مؤل:ڈوگر]۔ا۔ژور زنگہٕ کرتھ ہجُو یا کنٛیو سامانہٕ یتھ اَندٕر رٕپَن پھرنہٕ باپتھ پرٛوت تھوان چھِ۔پُرٛژتھونک سامانہٕ۔۲۔پاٛڈی گوژِ پٹھ کڈتھ تاروَنٕچ مشین۔

ڈوگُر۲۔ن۔مؤل:ڈوگر]۔ا۔پاٛرٕ مہِ الہِ ہیوٗ بتھ کرتھ۔بُتھ بوٗرُت۔یُس نہٕ بتھی کنہِ زاٛویٗل آسہِ۔
۲۔ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ گنٛیر۔

ڈوگرٕاَل۔ڈلام تہٕ ویٹھ پوٗٹھ اَل۔

ڈوگرِ موٚنجہِ۔ویٚچھہِ موٚنجہِ۔ہاکہٕ موٚنجن ہُند اَکھ قسم۔

ڈوٗنڈ۔م۔مؤل:ڈوٗنڈ حس۔ہتٚنڈ]۔ا۔بُتھیک اَکھ طرف۔بُتھیک اَکھ پاس۔ا۔بُتھ۔روے۔

ڈٕیٚجَر۔ا۔ڈیوٗل آسُن (گنٛڈ ہیتۭر)۔مُحکم نہٕ آسُن۔نَرم تہٕ یلہٕ آسُن۔۲۔(کامہِ کارٕس ہیتۭر منٛز)نَرم آسُن۔سُستی۔اَڈکاپرٕ گی۔لسہٕ گی۔

ڈٕیٚجَر ترٛاوُن۔ا۔حدٕ نہٕ رٹُن۔یلہٕ ترٛاوُن۔نَرمی وَرتاوٕنی ۲۔کامہِ ہیتِر اَندٕر رکاوُن۔

ڈٕیٚجہِ ہوٚر۔ن۔مؤل:ڈٕیٚجہِ ہَر حڈُچھوڈٕجہِ]۔سووَستہٕ ہوٗرٕ یوسہٕ ہیتر گرٛاکھ بٹہٕ نٕبن کنٛن اَلاٛنز چھنٛے آسان۔

ڈیٚلی گیٹ۔مؤل:ڈیٚلی گیٹ حانگ:ڈیلی گیٹ: Delegate]۔(کُنہٕ مجلسہٕ ہیتِر باپتھ ژارنہٕ آمُت)نُمایندٕ۔مَندوٗب۔

ڈٕیٚنموٗ۔ن۔مؤل:ڈٕیٚنمو حانگ:ڈٕے نیموٗ۔Dynamo]۔
اکہٕ قسمٕچ مشین یا آلہٕ۔یمہٕ پٹھ بجلی ہنٛز لہر ووتھان چھنٛے۔

ڈیر۔ن۔مول:ڈیر حم۔ہ۔ڈھیر]۔اَمبار۔لود۔واریاہَن چیزَن ہنٛز کھاسُو بنہٕ ہش۔اَکھاٛ رکس پٹھ کھاٛرِتھ واریاہ چیز۔

ڈیرٕ گرٛھنی۔واریاہ چیز ٹیمنی۔اَمبَر کھسنی۔

ڈیرٕ۔ن۔مؤل:ڈیر حہ:ڈیرا]۔ا۔سوجاے یتہٕ کانٛہہ عارضی پاٛٹھی روزِ۔۲۔کرایہ مَکانہٕ ہیتِر۔
۳۔سوجاے یتہٕ سفرٕس منٛز تھکھ دِز۔تھکہٕ پیٚنڈ۔

ڈیرٕ دِتھ ہیٛن۔کُنہِ جایہِ بٹھ لاگنی۔ڈیرٕ ترٛاٛوِتھ ووتھنک نہٕ ناوِ ہیوٗن۔کم سےٚ کاٛلس ہیٚہنک ہتھ رٕٹِتھ پتہٕ سُہل سُہل نہٕ ووتھنےٚ۔

ڈیر دیٚن/ڈیر ترٛاوُن۔ا۔کُنہِ جایہِ کم سےٚ کالَس روزنہٕ خاطرٕ لوہ لگٔر ترٛاوُن۔۲۔پرٛاو دیُن۔

ڈیر ڈ گہٕ۔ا۔سامانہٕ بیترٕ یُس ڈیرڈیرٕ پھیرٕن وٲلی پاُنس ہیٚتی ٹلان چھِ۔۲۔گرُک سوگاٹھ۔گرٕچ گرو پٹھ۔

ڈیرٕ ڈیرٕ پھیرٕن۔گرٕ پتھ گرٕ پھیرٕن (وَرگہٕ پاُٹھی) ڈُبالۍ آسُن۔آوارٕ پھیرٕن۔دَرپدٕری گرٕنۍ۔

ڈیشُن۔ن۔مؤل:ڈیش <س:دَرشنہٕ = ]۔وُچھُن۔ بَدکڈُن۔

ڈیل۔م۔مؤل:ڈیل]۔گاسہِ رَز۔

ڈیلہٕ۔ن۔مؤل:ڈیل <ہ:ڈھیلا <پرٛاکرت:ڈٔلہ]۔ میٖوترٕل۔

ڈیم۔ن۔مؤل:ڈیم <انگ:ڈیمDam]۔دَرٕ۔ڈرٕ یاوس بیترٕ منٛز دِنہٕ آمت سوتھ یُس آب جمع کرنہٕ یا یُپ بیترٕ رُکاونہٕ باپتھ کھارنہٕ یِوان چھُ۔ مِ:باکراڈیم۔

ڈیٖشٹن۔ن۔مؤل:ڈیٖشٹن]۔ہلہٕ گنٛڈ۔پلَو بیترٕ ییمہٕ سٟتی ہوٚل گنٛڈان چھِ۔

ڈیٖشٹن لاٹھ۔لوٚکٹ ڈج یوسہٕ ہُلس گنٛڈنہٕ یِیہ۔

ڈیٖٹھ، دریٖٹھ۔م۔مؤل۔ڈیٖٹھ <پرٛاکرِت:دِٹھ۔س :دِرشٹہ]۔نظر۔بوزنہٕ یُن۔

ڈیٖٹھُن۔<دِچھو ڈیٖٹھ]۔وُچھُن۔نظرِ گوٚھن۔

ڈیٖں گلی۔م۔مؤل:ڈیٖں گلی <ہ:ڈھینکلی]۔اکہِ قِسمُک توٗل ییمہٕ سٟتی کرٕ یرٕ منٛزٕ آب کھاران چھِ۔

ڈبٹھ۔ہ۔<پرٛاکرِت:دِٹھ]۔اَکھ بڑ ؤنہہ لوٚگ۔ وارِیاہ سبٹھا۔مِ:ڈبٹھ کوتاہ۔ڈبٹھ کوٚر۔ڈبٹھ گر۔ڈبٹھ گنہِ۔گےٚ حال۔ینہٕ سبٹھا کال گو۔

ڈبٹھ گنہِ۔وارِیاہ کال بڑ ؤنہہ۔

ڈبٹھ کنٛز۔ا۔وارِیاہَس وَقتَس۔وارِیاہَس کالَس۔ ۲۔وارِیاہہ کالی۔

ڈبٹھ کوتاہ۔سبٹھا۔وارِیاہ۔یِڑ۔

ڈبٹھ کور۔گتہِ کور۔سبٹھا دوٗر۔مِ:دوہ ووت ڈبٹھ کور۔

ڈبٹھ کیا۔ا۔پرٛتھ کینٛہہ۔سورُے۔۲۔ہَر کانٛہہ۔ سأری۔

ڈیسک۔ن۔مؤل:ڈیسک <انگ:ڈیسکDesk]۔ اکہِ طرفہٕ وَسہٕ وُن ہیٚو صوٚندوٗق چالہِ میز یتھ پیٹھ لیکھُن وِزِ کاکڈ تھوان چھِ۔

ڈبکتھ۔م۔مؤل:ڈبکتھ <ع:دِقتہ]کُنہِ چیزٕس روٗزمٕژ گَسر۔رنوٗقص۔

ڈبکہٕ۔ن۔مؤل:ڈبک <مُ۔مراٹھی:ڈوکیں۔گجراتی۔ڈوکوں] ا۔بُمن تہٕ بڑ ؤنہہ مستس منٛز باگ گلک حِصہٕ۔ ۲۔(وَرگہٕ)لون نصیبہٕ۔قِسمتھ۔۳۔خانہٕ دار۔ بَرتھا۔روٗن۔۴۔سبدٕتھ۔کامیابی۔خوش قِسمٔتی۔ ۵۔(وَرگہٕ)کُنہِ تہٕ چیزُک بڑ ؤتھیم حِصہٕ۔بتھ۔ روے۔

ڈیکہٕ ڈیکہٕ کرُن ۔ پوٚتُس پتھ خوش نٕصیبی تٕہنٛزٕ ۔ خوش قسمتھ آسُن ۔ جان نٕصیبَس ژھوہ دِنٕی ۔

ڈیکَس دژہ لدٕنی ۔ ڈیکس گینہٕ کھارنہٕ ۔ (ناراضگی ظاہر کرنہٕ باپتھ) بتھ لدِتھ بہُن ۔ بتھ ژوکراوُن ۔ کُنہٕ پیٹھ اوزُردیا ناراض گژھُن ۔

ڈیکَس پیٹھ ڈوٚنی پھٹرٕنی ۔ زورٕ زبردستیہِ پٔژن بجر مانہٕ ناوُن ۔

ڈیکَس ڈیکَس دِنٕی ۔ قسمتس وَدُن ۔ بدنصیبی پیٹھ وَدُن ۔ ڈیکس ژٔنجہ دِنہٕ ۔

ڈیکس ژٔنجہ دِنہِ ۔ سخ افسوس کرُن ۔ سخ پچھتاوُن ۔

ڈیکہٕ بوٚڈ ۔ خوش قسمت ۔ بجاتہٕ پاپرجا ۔ (آہی پاٹھی ونان)

ڈیکہٕ پُٹھک ٹِکہٕ ۔ وَرگہٕ (یمہٕ سِندِ ستی شوٗب آسہِ، یژتس لایق ۔

ڈیکہٕ تاپھ ۔ توٚت تاپھ یُس سیٚدِ سیوٚد ڈیکس پیٹھ پیٚیہِ ۔ بتھِ تاپھ ۔

ڈیکہٕ ٹِکہٕ ۔ اکہِ دستک ناوُیس ڈیکس پیٹھ الوند ترٛاوَنہٕ یوان چھُ

ڈیکہٕ ٹھُل ۔ (ہزلہٕ) بوٚڈ ڈیکہٕ ۔

ڈیکہٕ چارُن ۔ ناراضگی ہاونہٕ باپتھ ڈیکس گینہٕ لدِتھ بہُن ۔ کُنہِ پیٹھ سخ ناراضگی ہاوٕنی ۔

ڈیکہٕ دَگ ۔ (ووہو) ہرٕنی دَگ ۔ خانہٕ دار مرنک غم ۔

ڈیکہٕ دبد ۔ سوٕیَس رُت بوگ آسہِ ۔ یوسہِ وآرِدٕی کٕنی بجا آسہِ ۔ یَس رُت خانہٕ دار باگہٕ آسہِ آمت ۔

ڈیکہٕ رأنی ۔ ا ۔ سوٕیَس رُت خانہٕ دار باگہٕ آسہِ آمت ۔ یوسہِ خانہٕ دارٕ رٔنگی خوش تہٕ خوشحال آسہِ ۔ ۲ ۔ قسمتہٕ واجنۍ زنانہٕ ۔

ڈیکہٕ ژٔنی ۔ (وَرگہٕ) سو یوسہِ ہکی پٔژن بجر تھیکہٕ ۔ تھکُن تھاج ۔

ڈیکہٕ سبدتھ ۔ جان نٕصیبہٕ ۔ خوش قسمتی ۔

ڈیکہٕ گھن ۔ ا ۔ (وَرگہٕ) سُجد دِنٕی ۔ سخ عبادتھ کرٕنی ۔
۲ ۔ (وَرگہٕ) سخ عاجزی کرٕنی ۔ زارٕ پارٕ کرُن ۔

ڈیکہٕ لون ۔ ا ۔ قسمتھ ۔ نصیبہٕ تہٕ یہٕ قسمتس آسہِ ۔
۲ ۔ رٕوٕن ۔ خانہٕ دار ۔

ڈیکہٕ مُنأر ۔ بد قسمتھ زنانہٕ ۔ سوٕیَس نہٕ جان رٕوٕن آسہِ ۔

ڈیکہٕ نیرُن ۔ قسمتس پوٗرُن ۔ خوش قسمتی تٕہنٛز ۔

ڈیکُک ۔ (وَرگہٕ) قسمتک ۔ رٕنی سُند (ہزلہٕ پاٹھی تہٕ وَنان) ۔

ڈیکُک بَتہٕ کھیوٚن ۔ قسمتک بَتہٕ کھیوٚن ۔ میٛژٕ وَرأے گُذارٕ چلُن ۔

ڈبلُن ۔ ن ۔ موٗل: ڈبل < پرٛاکرت: ڈھلہ ] ۔ ا ۔ (گنڈ بیترٕ) ڈوٗل گژھُن ۔ پوٚرٕ پاٹھی نہٕ بنٛد روزُن ۔ سپہ نہٕ روزُن ۔ ۲ ۔ بیمار گوٚژھُن ۔ زوٗ کٔنی نہٕ لوٚر روزُن ۔
۳ ۔ (بتہٕ بیترٕ) جاےٕ پاکھ دِتھ ڈٔی گژھُن ۔
۴ ۔ لبڑُن ۔ نرمُن ۔

ڈمب ا ۔ ن ۔ موٗل: ڈمب ] ٹمبل ۔

ڈمبہٕ راد۔ ئمبلہٕ منز پیرٕ ون لوکٕٹ ژمپہٕ ژگل (یہِ چھ وَگوی بنجن پیٹھ میژ ؤہرِتھ بناونہٕ یوان)۔
ڈمبہٕ ژکھ۔ اکہِ قسمک گاسہٕ یُس دلدلی۔ ژمپنس کھسان چھ۔ ڈمبہٕ گاسک اکھ قسم۔
ڈمبہٕ شائج۔ شالس ہیوٗ اکھ ماز خور جانور۔
ڈمبہٕ گوہج۔ گوگجن ہنداکھ قسم یُس ژمپنس ووپدان چھ۔
ڈمبہٕ ہاکھ۔ گوگجن ہندی ؤتھرِ یم ہاکی پاٹھی رننہٕ یوان چھِ۔
دمبہٕ ہاٹز۔ ڈمبن منز سبزی ووپداوِتھ (ناوِ کیتھ) کنن وول۔
ڈمبہٕ ہتہٕ ندربن۔ تہٕ ؤپتھ گو پنُن مطلب پوٗرٕ کرنہٕ خاطرٕ بدلے ہتہٕ واتتھ پیوٗن۔
ڈمب ۲۔ ن۔ مؤل: ڈمب <س: ڈمبہٕ]۔ ناوِ ہندِس لبہِ ژاگِس منز باگک حصہٕ۔
ڈمبہٕ وار۔ لوکٕٹ ناو یتھ کیتھ ڈل ہاٹز سبزی بیترِ ساتھ کنان چھ۔
ڈم ڈم۔ ن۔ مؤل: ڈم ڈم]۔ ژبلہٕ ستی یون وسی وسی گوژج یا دبہٕ ژج حالتھ۔
ڈیڈ۔ ن۔ مؤل: ڈِ ڈ <س: دھرِ شٹہ]۔ ا۔ بے شرم۔ دَریوٗمت۔ ییمی زِ روآسہِ لوٗدمت۔ ۲۔ تِھِھ دِنس پیٹھ گنجوٗمت ہیتھ، ژلنس پیٹھ دَریوٗمت۔
ڈِڈِ گی۔ ڈیڈ آسُن۔ بے شرم آسن۔ دَریوٗمت آسُن۔ کنیگ نہٕ پرواے آسُن۔

ڈیڈُ پیوٗن۔ بلوٗٹھ ووتھن۔ لوٗٹہِ لوٗٹے گرژھنی۔
ڈیڈ لاگن۔ رگجن۔ درن۔ زِ روٗلدن۔ پیٹھوول لاگن۔ تھپہٕ پیٹھ روزُن یا آسُن۔
ڈیڈمتُن۔ تھپُل اگاد گرژھن۔ غنڈ پیوٗن۔ لوٗٹھ گرژھن۔
ڈیوٗنگ۔ ا۔ پنس بیترِ ووٗتمت بوٗ ڈگولہٕ ہیؤ ہ۔ ۲۔ پھٹُل۔ ۳۔ بوٗ ڈپھپھر۔ ۴۔ گیوٗڈ (آمن بیترِ ہُند)۔
ڈیوٗنگ وَٹن۔ ا۔ پنس بیترِ بوٗ ڈگولہٕ ہیؤ وَٹن۔ ۲۔ پھپھر کھسُن۔ پھپل بنُن۔
ڈیوٗب۔ ن۔ مؤل: ڈب <مُ: ہ۔ مراٹھی: ڈبرا]۔ یتھ ڈم ڈم گژھان آسہِ۔
ڈیوٗگ/ ڈوٗگ۔ ن۔ مؤل: ڈیگ] اونگجہِ ٹینڈِس کھرٕ ہش بَستہٕ ہش۔
ڈیوٗل۔ ن۔ مؤل: ڈیل <مُ۔ ہ: ڈھیلا۔ پزاکرِت: سِڈ ھلہ او]۔ ا۔ نرم۔ چاٹھ نہٕ۔ زور نہٕ بند ۲۔ (وَرگہِ پاٹھی)۔ یُس نہٕ اکی سے گتھ پیٹھ روزِ۔ یُس نہٕ زُواوُ رآسہِ۔
ڈیلہٕ راوُن۔ ڈیوٗل کرُن (گنڈ بیترِ) نرم کرُن۔

## ذ

ذ۔ کاشرٕ ٹیک سَدٕ اہیم تہٕ اوٗ ردوٗ ٹیک ترٕ واہیم اچھر۔ ابجد حسابہٕ چھ اتھ ستھ ہتھ مول۔
ذَبیٖح اللہؑ۔ یہ چھ حضرت اِسماعیلؑ سُند لقب۔

ذَبٕح ۔ن ۔مۆل: ذَبٕح <ع: ذبح ]۔ کھَش ۔ہۆٹ ژٹُن ۔
ہُٹس شرٛاکہ پھِرِنہٕ شَرع مۆجوٗب حَلال کرُن ۔
ذَبٕح خانہٕ۔ ا۔ سو جاے یِیٚتہِ گٲٹھ بیترٕ مارنہٕ آسَن
یِوان ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) سو جاے یِیٚتہِ بے
بوٚج آسہِ۔ سو جاے یِیٚتہِ لۆکَن ظُلم واتناونہٕ یِیہِ۔
ذَبٕح کرُن ۔ ا۔ کھَش کرُن ۔ ۲۔ مارُن ۔
ذَبٕح گژھُن ۔ کانٛسہِ ہُنٛز ناکارٕ حالتھ وِچھِتھ
آرٕیُن ۔ زرٕزرٕ گژھُن ۔ وأنٛجہِ شرٛاکہٕ وَسنہِ ۔
ذَرٕ ۔ن ۔مۆل: ذَر <ع: ذرة ]۔ رَژھ ۔ پیٚوٗنت ۔
ذَرٕ ذَراتھ ۔ سورُے ۔ کُلہم ۔ پیٚوٗنت پیٚوٗنت ۔
ذَرٕ ذَرٕ ۔ پیٚوٗنت پیٚوٗنت ۔ رَژھ رَژھ ۔ موے موے ۔
ذَرٕ نوٚ آزی ۔ یِم نہٕ کیٚنٛہہ لوٗن تِمَن پیٹھ مِہرٕ بأنی ۔
مومۆلی اِنسانَس ذرٕے گژھُن ۔ یِہ چھُ کانٛسہِ
نَرمی کنہٕ بیٚیِس وَنان یِیلہِ سُہ قدٕر رزانٛس ۔
ذِلَتھ ۔م۔مۆل: ذلت <ع: ذِلَتھ ]۔ شِکَس سٹھا خراب حالَتھ ۔
ذِلِتھ لَد ۔ شِکَس لَد ۔
ذَلالتھ ۔ کٔمیٚنہٕ گی ۔ رُسوأیی ۔ خَجالتھ ۔
ذِلتی ۔ شِکَس لَد ۔ نفرٕ ژلایق ۔
ذِلتی داس ۔ وِچھِو "ذِلتی"۔
ذم ۔ن ۔مۆل: ذم <ع: ذم ] خَجل ژدی ۔ رُسوأیی ۔
ذَم گژھُن ۔ ژَس گژھن ۔ رُسوأیی گژھُن ۔
ذاتھ ۔م ۔مۆل: ذات <ع: ذات ]۔ ا۔ اصل ۔ جوہر ۔
سَت ۔ ۲۔ کرٛام ۔ ۳۔ خصلتھ ۔ کُنہِ چیزُچ اصلیتھ ۔
کان ۔ قسم ۔ م: توہہ کٔمہ ذأژھُنٛد دلنہٕ چھُو وومُت ۔
۴۔ پان ۔ م: یِہ چھُ سورُے مے ذاتَس پیٹھ ۔
ذاتَس پیٹھ ۔ پانَس پیٹھ ۔ تہٕ یِہ پانے کرُن آسہِ ۔
یِیمِیک بار پنہٕ نَس چِنٛدَس پیٹھ پیِیہِ ۔
ذاتِ پاک ۔ سو ذاتھ یُسہٕ پاک چھےٚ ۔ اللہ ۔
بگوان ۔
ذاتُک ۔ پٔنُن ۔ پنٕنہِ کمایہِ ہُنٛد ۔
ذات پات / ذاتھ پاتھ ۔ وَرنہٕ باگے ۔
ذاتھ بُراتھ ۔ کژون ۔ قبیلہٕ تہٕ پیٚنڈ پرٛن ۔
ذاتھ بُرٕ یاد ۔ وِچھِو "ذاتھ بُراتھ"
ذاتھ ہُنٛز ۔ (ہزلہٕ) کوٚھلتھ نٔژ گژھُن ۔ خباثتھ ظاہر
سپدنی ۔
ذاتھ ہاوُنۍ ۔ (ہزلہٕ) کٔمیٚنہٕ گی کرٕنۍ ۔ تہٕ کرُن یِہ نہٕ پزِ ۔
ذأژھنٛدی بأژ ۔ اکہٕ اکہٕ سأری ۔
ذٔخیرٕ ۔ن ۔مۆل: ذخیر <ع: ذخيرة ]۔ ڈیر ۔ اَمبار ۔
ذٔخیرٕ اَندوز ۔ چیز سۆمبرِتھ ژوٗرِتھوٗن وول (کٔنٛن
وول بیترٕ)۔
ذٕرِ یِہ ۔ن ۔مۆل: ذٕرِ <ع: ذريعة ]۔ وَتھ ۔ وُسیلہٕ ۔
سٔبیل ۔ طرٕیقہٕ ۔
ذٕرِ یِے آمدرَفت ۔ یِنہٕ گژھنُک وُسیلہٕ ۔ تِم وُسیلہٕ
یِمَو کنہٕ یِوان گژھان چھِ ۔
ذٕرِ یِے آمدَن ۔ آمدنی ہُنٛز سٔبیل ۔ پونسہٕ ژونک
نِینہٕ پٕچ وَتھ ۔

ذُرٕ یَے ماش۔ گُذارِ چ وَتھ۔ پیشہٕ ہیتر۔
ذُرٕ یہِ ژھانڈُن۔ وَتھ ژھانڈٕنی۔ سٕبیل ژھانڈٕنی۔
طٔریقہٕ بَدٕ کڈُن۔
ذٔلیل۔ن۔ مؤل: ذٔلیل <ع: ذلیل]۔ا۔ کمینہٕ۔ بد ذاتھ۔
سُہ یَس جان وٕطیرِ آسہِ نہٕ۔ سبٹھا گریوُمت۔
۲۔ رُسوا۔ بد نام کوٗ ذُمت۔ ۳۔ پھانٛگرِ۔ پیوُمت۔
ذٔلیل تہٕ خار۔ بد نام تہٕ بژ گار۔ خجل تہٕ رُسوا۔
ذٔلیل کرُن۔ ا۔ تباہ کرُن۔ وٲران کرُن۔ کُنہِ لایق
نہٕ تھوٗن۔ ۲۔ یُوٗ اُذ اُذ کرٕنی۔ سَخ بیوٲری کرٕنی۔
رُسوا کرُن خجل کرُن۔
ذٔلیل گژھُن۔ا۔ رُسوا گژھُن۔ بدنام تہٕ بژگار
گژھُن۔ ہاوُن لایق نہٕ روزُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی)
صوٗرتھ نہٕ روزٕنی۔ پَرتیتھ نہٕ روزٕنی۔
ذٔہین۔ مؤل: ذٔہین <ع: ذہین]۔ سُہ شخص یَس ذہن
تیز آسہِ۔ گاٹُل۔ عقلمند۔ بوٗزوِل۔
ذٲتی۔ ا۔ اصلی۔ مُلہٕ تلہٕ م: سُہ چھُ ذٲتی بد نیت۔ ۲۔ بلکل
پنُن۔ م: یَتھ کلمہِ پیٹھ گوٚمے ذٲتی روپیہِ ہَتھ
خرچ۔ ۳۔ وَراثتی۔ جُدی۔ م: یہِ زٔمین چھےٚ مے
ذٲتی مِلکیت۔
ذٲتی تجرُبہ۔ سوٗ اَقیقتھ یوٚسہ پانہٕ کینٛہہ کرنہٕ سٟتی سَپدِ ے
ہوٗ آسہِ۔ ۲۔ یہِ پانَس پیٹھ بنیوُمت آسہِ۔
ذٲتی راے۔ تہٕ یہِ پانہٕ سوٗنچمت آسہِ۔ پنُن مَتھ۔
پنُن خیال۔

ذٲتی مامله۔ سوٗ کتھ یا کام ہیتر یمیُک توٗلُق پنٔنس پانَس سٟتی
آسہِ۔ سُہ ماملہٕ یَتھ سٟتی بیٚیس کانٛہہ توٗلُق آسہِ نہٕ۔
ذٲتی یاتھ۔ ا۔ یَتھ منٛز کانٛسہِ ہٕنز ذاتھ ہنہٕ ییہِ۔
۲۔ (ذٲتی) دُشمٔنی۔ عداوتھ۔
ذٲتی یاتھ آسُن۔ دُشمٔنی آسٕنی۔ شترتُ آسُن۔
ذٲتی یاتھ ہورُن۔ عداوتھ نگہِ والُن۔ آنٛچھ ہورُن۔
ذٲژُل۔ رتہٕ قسمک۔ رُت۔ جان۔ اصلِ بیالیگ بیالہِ
اٚندرُک۔
ذٲکر۔ا۔ ذِکر کرن وول۔ سُہ یُس زِپھ آسہِ کران۔
۲۔ سُہ شخص یُس ممبرس پیٹھ کھسِتھ اہلِ بیتؑ
ہندی منقبت پرَ۔ مجلسن منٛز مرثی پرن وول۔
ذٲل۔ن۔ مؤل: ذٲل <ع: ذیل ]۔ا۔ حلقہٕ علاقہٕ۔
۲۔ غرض۔ م: ازکمہِ ذٲلہٕ اہم۔ ۳۔ یوٚنہٕ کُنہِ۔
۴۔ (وَرگہٕ پاٹھی) گال کھاتہٕ۔
ذٲلس ژٕھنُن۔ گال کھاتَس تژوُن۔ گٕشس سٟتی تھوٗن۔
ذٲلدار۔ تحصیلدارس وٕستھ سُہ سرکٲری عوٚہدٕ دار یَس
ماتحت وایاہ گام آسان اٲسی۔
ذٲلدٲری۔ ذٲلدارٕ سُند کاریا دَسگاہ۔
ذٲیقہٕ۔ن۔ مؤل: ذٲیق <ع: ذٲیقہ]۔ا۔ مزٕ۔ میچھر
۲۔ مزٕ۔ وُچھنُک حِس۔
ذِکرٕ۔م۔ مؤل: ذکر <ع: ذِکر]۔ا۔ کانٛسہِ ہٕنز کتھ۔ بیان۔
۲۔ خودائِہ سُند ناو۔ پَیاپَے ہیوٗن۔ زِپھ۔
ذِکرِ خارٕ۔ پتہٕ پتہٕ رُت پھرُن۔ کانٛسہِ ہُندرُت وَنُن۔

ذِکرِ ٹلُنۍ۔ کانٛسہِ ہٕنز کتھ ٹلُنۍ۔ کانٛسہِ یا کُنہِ مُتلق کتھ پھُیر دیُن۔

ذِکر کر۔ ۱۔ کتھِ باتھِ منٛز ناو ہیوٚن۔ کانٛسہِ مُتلق کتھ ٹلُنۍ۔ ۲۔ خودایہِ سُند ناو ہوان گژھن۔

ذِکرِ وۄتھنۍ۔ منٛز کتھ ترٛنۍ۔ کتھ گران گران منٛزی کانٛسہِ ہُند تذکرِ سپدُن۔

ذِکری ترٛنۍ۔ ۱۔ کتھ وۄتھنۍ۔ کتھ گران گران منٛزی کانٛسہِ ہُند تذکرِ سپدُن۔ ۲۔ خودایہِ سُند ناو پھران پھران مَس گژھن تہٕ کلہِ کلہِ ناوُن۔

ذی الحجہ/ ذِالحج۔ ن۔ مۆل: ذِالحج <ع: ذوالحجہ]۔ ہجری ۆری یک بٲہیم رٕتھ۔

ذِمہ۔ مۆل: ع: ذمّۃ]۔ مَتہٕ۔ بار۔ پہٕترٕن۔ فرض۔

ذِمہِ دار/ ذِمہِ وار۔ ۱۔ یَس مَتہِ آسہِ۔ سُہ یَس نگہٕ آسہِ والُن۔ یَس کُنہِ کلمہِ باپتھ جواب آسہِ دیُن۔ ۲۔ مَتہِ دَر۔ ضامن۔

ذِمہِ دار روزُن۔ مَتہِ ہیوٚن۔ بیٚنہ بسنہِ بَدَل منٛز اَژُن۔ ضامن روزُن۔

ذِمہِ دٲری۔ مَتہِ دٲری۔ حوالہِ دٲری۔ تہٕ یہِ اَند آسہِ واتناوُن۔ تہٕ یہِ پوٚر کرنہٕ باپتھ جواب پیٚیہِ دیُن۔

ذِمہِ دٲری ٹلُنۍ۔ کانٛہہ کام بیترِ اَند واتناونک اِقرار کرُن۔ اَند واتناوُن۔ پانٛس پیٹھ ہیوٚن۔

ذِمہِ کھٕسُن۔ ۱۔ مَتہِ کھٕسُن۔ ۲۔ اِلزام کھٕسُن۔ جُرم ثابتھ گژھن۔

ذِمہِ کھارُن/ کھالُن۔ مَتہِ مَرُن۔ گلُس کھارُن۔ اَپُز ےمیٚژ ے رٕتہٕ کھاوُن۔

ذِمہِ ہیوٚن۔ ۱۔ مَتہِ ہیوٚن۔ نگہٕ وانٛگ ذِمہِ وٲرینٛز ۲۔ اِقرار کرُن۔ مانُن۔

ذِہانتھ۔ گاٹہٕ جار۔ ذہن تیز آسُن۔ کتھ ماملہِ بیترِ ۆلی ۆلی فکرِ ترٛنک مادٕ۔

ذِیابیطس۔ ن۔ مۆل: ذِیابیطس <ع: دیوٗنانی: ڈَے بیٹیز Diabetes]۔ ہترس ستی شکر پکنٛچ بیمٲری۔ شوگر پکنٛچ بیمٲری۔

ذی شان۔ مۆل۔ ذی شان <ع: ذی شان]۔ شانہٕ وول۔ مَرتبہٕ وول۔ یَس بوٚڈ دَرجہ آسہِ۔

ذی شوٗعوٗر۔ مۆل: ذی شوٗعوٗر <ع: ذی شعور]۔ بوٗزووُل۔ زانَن وول۔ زانٛنۍ کار۔ عقلمند۔

ذی قعدہ۔ زیقعد۔ ن۔ مۆل۔ ذیقعد <ع: ذی القعدہ] ہجری ۆری یک کٕہیم رٕتھ۔

ذی ہوش۔ ہوشہِ وول۔ یَس ہوش آسہِ۔ ۆد۔

ذی یزتھ۔ یزتگ حقدار۔ یزتہٕ وول۔

ذُریاتھ۔ م۔ مۆل: ذُریات <ع: ذریتہ]۔ ۱۔ شُری مُری۔ پےٚ۔ ۲۔ ساٚرے ذاتھ۔

ذوالجلال۔ ن۔ مۆل: ذُوالجلال <ع: ذوالجلال]۔ حشمتہٕ وول۔ شانہٕ وول۔ یَس سیٹھا بجر چھُ۔ یہِ چھُ بٲری تعالےٰ سُند اَکھ صفتھ۔

ذوٗالجناح۔ن۔مؤل:ذوالجَناح <ع:ذوالجلالیٰ]۔ییہ اوس حضرتِ امام حُسینؑ سٕندِس گُرِس ناو۔

ذوٗالفِقار۔م۔مؤل:ذوٗالفِقار]۔سوتلوار یوسہٕ جنگ بَدرس منٛز آنحضرتؐن ابوٗجہلس نِشہٕ اَتھ لٔج تہٕ تمو گُرحضرت علی علیہ السلامس عطا۔

ذوالنوٗرین۔یہٕ چھُ حضرت عثمانؓ سُند لقب۔

ذوٗالنوٗن۔ن،مؤل:ذوٗالنوٗن <ع:ذوالنوٗن]۔ا۔یہٕ چھُ حضرتِ یوٗنسؑ سُند لقب یم ژٕ تجہٕن دوہَن گاڑٕ ہٕنزِ یڈ منٛز روٗدی۔۲۔ذوٗالنوٗن مصری۔ أکِس تھدِ پایہٕ کِس وٕلی سُند لقب۔

ذوٗاضعافِ اَقل (ذوٗ ضافہٕ اَقل)۔ن۔مؤل۔ ذوٗاضعافِ اقل <ع:ذوٗاضعاف اقل]۔ حِسابَس اَندَر ییتھ لوکٹہٕ کھوتہٕ لوکٹِس رَقمس وَنان ییتھ کینٛژَو دِژٕ ہو وگرٕ زٕو ستی تقسیم ییہٕ گرنہٕ۔لوکہٕ لوٗک سرٕ وٕ دگوٗن۔

ذوق۔ن۔مؤل:ذوق <ع:ذوق]۔حظ۔لُطف۔شوق۔

ذیہَن۔ن۔مؤل:ذیٛہن <ع:ذِہَن]۔یود۔گاٹہٕ۔ ترٕ چر۔عقل۔

ذیٛہنِتھ۔فطرتھ۔خصلتھ۔سمجھ بوٗجھ۔

ذیہنی۔دماغی۔

ذیہنی پریشانی۔دماغی پریشانی سوفکرِ ییمہٕ ستی دماغ گژھہٕ ڈٕنجہِ روزِنہٕ۔

ر

ر۔عربی یک ڈٕہٕیم۔فارسی یک بٔہیم تہٕ کأشرٕ یک اردأہیم اَچھر۔اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ زٕ ہتھ (۲۰۰) مول۔

رَب ا۔م۔مؤل:رَب (پراکرت:رَب با]۔ا۔آبہٕ ستی مَنڈنہٕ یا اُڈرنہٕ آمژ میژ۔میژ ییتھ زیادٕ آب یارٕ ودٕ بیترٕ پیوٚمُت آسہٕ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) بےٚ یزتی۔مِ:تَس گیہ تیتہٕ ہَن تھی رَب

رَبہٕ تھپھ۔ییٚژ رَب اَتھس اَندر رٹِتھ ڈٕ سِکِس بیترٕ پلناونہٕ ییہٕ۔

رَبہٕ چھل۔سپٹھازیادٕ رَب۔تِژٕ تہٕ سَنٛز رَب۔

رَبہٕ دَرِ۔تھل گرِتھ تہٕ ننبٕرٕ تژٕ اُوِتھ أبی ژٕ مینٛس آب کڈٕن ییتھ زٕرب موٚٹہٕ تہٕ دانہٕ کَڈٕ واش۔

رَبہٕ دوبس زَنگ ژٕہنٛز۔تہٕ ڈٕییتھ گوتھس مامِلَس اَندَر دَخل دِیُن ییتہٕ اِنسان خامخاہ ہنٛنہٕ ییہٕ ییتہٕ پانٛس بےٚ یزتی ہُنٛد خطرٕ آسہٕ۔ٹٔکو گٔنہٕ نیایس اَتھِ تژاوُن۔مِ:کھشری پأجامس زنگ ژٕہنٛز۔

رَبہٕ زوٗڈ۔رَبہٕ ڈٕمب۔

رَبہٕ گھراوٕ ہور۔(وَرگہٕ) یُس ٹٔکو پرٕتھ گٔنہٕ مامِلس منٛز دَخل دِیہٕ۔

رَبہٕ گُرٕن۔ا۔گُرٕن ہُنٛد اکھ قسِم یُس یٔژپأٹھی نمبلن

اَنٛدرَ آسان چھُ۔۲۔(وَرگہٕ) ہُس رَبہٕ سٍتۍ دٕزٕ وُمت
آسہِ یالس یُتھ پاٹھۍ رَبہٕ مَنٛزٕ ےٚ آسان آسہٕ۔

رَبہِ ہالو۔رَبہِ ہنٛز مِش یوسہٕ نَنبدٕ وٲلِس نَمس مَنٛز سٕنٛتھ تیوٗل پھٕٹِ پاوان۔

رَبہِ ہیٚچ۔سہٕ لوکُٹ آکِہ یَتھ پھالہٕ وَراۓ کوٚرِ ہٕٹ آسان چھےٚ تہٕ یَیمہِ سٍتۍ اَکِ زَمیٖنَس آب لدنہٕ پتہٕ دَتہٕ پھٕٹرٲونہٕ تہٕ رَب پنہٕ بأٹھ والنہٕ یوان چھُ۔

رَب دوٚنۍ۔رَبہِ زوٗل دِینٛ۔رَبہِ ہیٚریم یون گرٕن۔۲۔رَبہِ مَنٛزٕ ےٚ ٹِکان ٹِکن۔رَبہِ مَنٛز یِتھ پاٹھۍ ٹِکن یِتھ سوٗرٕ ے پان پھکوٕ سٍتۍ بَرنہٕ یِیہ۔

رَب گرٕنۍ۔(ورگہٕ) دِوتھ والنۍ۔ڈٕقر والنۍ۔

رَب گژھنۍ۔(وَرگہٕ پاٹھۍ) چیز بیترِ خراب گژھُن (چیزٕ س بیترِ) برٕس گژھنۍ۔۲۔(وَرگہٕ) بےٚ یَزتی گژھنۍ۔ڈٕقرِ وَسنۍ۔دِوتھ وَسنۍ (کانٛسہِ ہنٛد)۔

رَب مَتھنۍ۔(وَرگہٕ) بَد نام گرٕن۔مَنٛد چھاونہٕ یُن۔خجالتھ گرٕنۍ۔تیٚتھ کیٚنہٕ گرٕن یَیمہِ سٍتۍ کانٛسہہ بَد نام گژھہ۔کانٛسہِ بےٚ یَزتی گژھہ۔

رَب مَتھنہٕ یِنۍ۔أکِس بیٚیِس تھٕی بےٚ ڈٕقری گژھنۍ۔بےٚ یَزتی گژھنۍ۔خجالتھ گژھنۍ۔چھتہٕ گژھُن۔مَنٛد چھاونہٕ یُن۔بَد نام گژھُن۔اَڈٕ اَڈٕ نیرٕن۔

رَب مَنٛڈٕنۍ۔رَبہِ روٗدٕس مَنٛز ہٕلی اورٕ یورٕ پھیرٕن۔

رَب مانٛڈٕنۍ۔رَبہِ مانٛڈ دِنۍ۔

رَب تٕنۍ۔ہیٚچ دِنہٕ سٍتۍ اَکِ زَمیٖنَس رَب یلہٕ گژھنۍ۔دَتَن ہُنٛد آبُس اَنٛدرٕ رسُن۔

رَب۲۔ن۔مؤل: رَب <ع: رَب]۔پَرنہٕ چھُ "روب" یوان۔مالکھ۔رَچھن وول۔پَروَردگار۔خوداتعالیٰ سُنٛد اکھ صفتی ناو۔

رب۳۔ رَس۔م: رَبِ سوٗس۔کُنہِ چیزٕ س دوا بناونہٕ باپتھ پاکہٕ وِتھ موٗٹرٕ وومُت۔

رَبَر، رَبَڑ۔ن۔مؤل: رَبر <انگ: Rubber]۔اکہٕ خاص کُلَیگ شُٹھر وومُت رَس۔یہِ چھُ نَرم تہٕ ڈَبم ڈَبم گرٕون آسان تہٕ لَمنہٕ سٍتۍ چھُ زیٹھان تہٕ۔

رَباب ۔رَبابہٕ ۔ن۔مؤل: رَباب <ع: رَباب ]۔وایِنٛگ اکھ ساز۔اکہٕ قسمٕچ سارنٛگ۔

رَبابۍ۔رَباب وایِن وول۔

رَبد۔ن۔مؤل: رَبد <ع: ربط]۔ربط۔

رَبُّ العالمین۔ن۔مؤل: رَبُّ العالمین <ع: رَبُّ العالمین]۔خوداتعالاسُنٛد اکھ صفتی ناو۔سارِنٕے عالمَن ہُنٛد پادٕ کرن وول۔

رَبط۔ ن۔ مؤل : رَبط < ع : ربط] ا۔تُمیز باش۔شوٗب۔ڈٕطیر۔۲۔اکھأ رِکس سٍتۍ ہشُر۔

رَبطِ ضَبط۔ا۔دَبدَبہٕ۔روب داب۔۲۔گنٛڈ۔ڈِسپلن۔

رَپٹھ ،رَپوٗٹھ۔ن۔ مؤل: رپٹ < انگ: رپورٹ Report]۔پُلسَس بیترِ دِنہٕ آمُت اِطلاع۔تھانَس بیترِ گرنہٕ آمُت شِکھ۔

رَپٹھ دیُن ۔ پُلسَس بیترِ اطلاع کَرُن ۔ جُرمہٕ بیترِ چ
خَبر دِنۍ ۔

رَتہٕ پیٖتھ ۔ م ۔ مۄل: رَتہٕ پیت <پراکرت: رَتتہ+س:
پتہ ] ۔ ا ۔ ووزلہِ رَنگہٕ چھٹھ ہش یوسہ واتنن
ہنٛدی پاٗٹھی پانٛس نیران چھےٚ ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ)
بےٚ قرارۍ ۔ (ووہو پۄژھی تہٕ وَنان) ۔

رَتہٕ ژوگے ۔ ا ۔ زٔہیر ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ) قرارنہٕ آسُن ۔ یتہٕ
گوہ گرُن ۔ پھرِ پھرِ یُن ۔

رَتہٕ کھل ۔ ا ۔ اَکھ بمارۍ یتھ منٛز نستہٕ تہٕ ژٔکجہ کنِ خوٗن
چھُ پکان ۔ یہِ بمارۍ چھےٚ زخم لگنہٕ یا گنہِ اَنٛدرِ
بمارِ کنِ سپدان ۔ ۲ ۔ یہِ چھُ اَکھ ووڈنوتہٕ ۔

رَتیل ۔ ن ۔ مۄل: رَتیل <ع: رَگٹ+؟] ۔ دال چینہٕ رَنگہٕ
اَکھ گنہٕ قسِم یُس وَسَن وُجھِنَن بیترِ جَران چھِ ۔

رَتھ ۔ ن ۔ مۄل: رَت <پراکرت: رَتتہ <س: رَکتہ] ۔
ا ۔ ووزُل تَرَل مادٕ یُس اِنسانَس بیترِ جِسمَس منٛز
دورِ چھُ کران ۔ خوٗن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٗٹھی) سۄنٛ
میٖنٛژھو ہنٛد ٹیٖچہ ۔ م: موٗز زٔرن ہنٛد رَتھ ۔
۳ ۔ قسمہٕ پۄژھی وَنان ۔ م: میٖون رَتھ چھےٚ ۔
۴ ۔ ووہو پۄژھی تہٕ وَنان ۔ م: تَسنٛد رَتھ یتھ یہِ
روزُمت چھُن ۔

رَتَس تہٕ ترِیشہِ ۔ سۄنٛ عداوتھ ۔

رَتَس تہٕ ییٚہ مینٛہِ ۔ (وَرگہٕ) سۄنٛ دُشمنی آسنۍ ۔ اَکھ
اَکس پھٕنَس آسُن ۔

رَتَس گرٛ کھلگنۍ ۔ خوٗنی رِشتہٕ کنِ جوش یُن یا تۄہنۍ ۔

رَتہٕ بۄرُت ۔ یتھ خوٗن لورآسہِ ۔ یہِ خوٗنَس منٛز
بوڈوَنہٕ آمُت آسہِ ۔ رَتہٕ سٗری گومُت ۔

رَتہٕ پےٚ ۔ ا ۔ سو جاے یتیٖتھ خوٗنہٕ رَگن واتھ آسہِ ۔
۲ ۔ رَتک رِشتہٕ ۔

رَتہٕ پرٛاژ آسنہِ ۔ (وَرگہٕ) کاٗنسہِ ٹاٗٹھی ہنٛدِ مرگہٕ
کنِ دہ کھس آسُن ۔

رَتہٕ پھُٹھ ۔ جِسمَس اَنٛدر رگنہِ جایہِ رَتھ بانٛدِ گوھنہٕ
کنِ کھۄہو پھُٹھ ۔

رَتہٕ چھپہٕ دیُن ۔ قوربان گژھُن ۔ بلایہِ لگُن ۔
کاٗنسہِ ہنٛدِ بدل مرُن ۔ ۲ ۔ بلایہِ بتھِ لگُن ۔ بلۍ مارِ
گوژھن ۔

رَتہٕ چھِٹھ ۔ رَتچ قوربانۍ ۔ کاٗنسہِ ہنٛز بلی ۔ کانٛہہ کاٗم
شروٗع کَرنہٕ بڑ وٕنہہ بلی ۔

رَتہٕ چھۄل ۔ رَتہٕ دگنۍ ، رَتہٕ چھٕکھ (چھوکھ بیترِ لگنہٕ
کنِ )

رَتہٕ دگ ۔ سو دَگ یوسہٕ رَتھ بانٛدِ گوھنہٕ کنِ گرٕ ۔

رَتہٕ داٗوۍ ۔ رَتھے رَتھ ۔ رَتَس اَنٛدر سٗری پیٖٹھی
گومُت ۔ خوٗنہٕ ستۍ بُرتھ ۔

رَتہٕ راٗٹھ ۔ ا ۔ رَتہٕ پھُٹھ ۔ رَتہٕ لَہا ۔ ۲ ۔ اُچھن
کھۄہو ووزِ جارسان رٕکھ ہش ۔

رَتہٕ راٗٹھی ۔ رَتہٕ کھوٚر ۔ خوٗنہٕ خوٗن گرنس پتھ تیار غنٛڈ ۔

رَتہٕ رِش ۔ رَگہِ ہنٛدِس رِشتَس منٛز اَکھاَکی ہنٛز کھر ۔

رَتہٕ روز۔ رَتہٕ بُواسیر۔

رَتہٕ روزٕ پیٚنۍ۔ (ووٚہو) رَتہٕ بواسیر گرٕنۍ۔

رَتہٕ رٕبے۔ ا۔ سوچھِنۍ یوسہٕ سبٹھاہ خۆن وَسنہٕ پتہٕ ووتھان چھےٚ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) بےٚ قرأری۔

رَتہٕ ژۆ ر۔ خۆنٕچ اَکھ بِمأرۍ۔

رَتہٕ ژۆرٕ لد۔ (ل م) یُس رَتہٕ ژۆر آسہِ (وَرگہٕ پأٹھۍ) یُس نہٕ کُنہِ جاییہِ سوکھ آسہِ۔ یُس سیٹھا آسہِ۔

رَتہٕ ژۆ رٕ پیٚون۔ یہٕ چھُ اَکھ ووٚہو۔

رَتہٕ کولہِ پگنہٕ۔ (وَرگہٕ) لڑایہِ منٛز خۆنہٕ خۆن گژھنۍ۔ سبٹھا لۆکھ چھوکہٕ لد یا مارٕ گژھنۍ۔

رَتہٕ کھَل گرٕنۍ۔ (وَرگہٕ) پُنٛدۍ کڈُن۔ سوکھ نہٕ بیٚہنہٕ دِین۔

رَتہٕ کھَلہِ گژھُن۔ (ووٚہو) سبٹھا بُرٕ حالتھ گژھنۍ۔

رَتہٕ کھَنٛجہِ۔ ووزُل نار ہیُۆ۔ بلکُل ووزُل نار ہیُۆ گژھُن۔

رَتہٕ کھَنٛجہِ گژھنہٕ۔ (وۆہو پُژھۍ وِنان) ووزُل نار ہیُۆ گژھُن۔

رَتہٕ کھۆ ر۔ بدذات۔ آوار۔ پرٕتھ کانٛسہِ ستۍ ژُون وول۔

رَتہٕ گگر۔ گرٕ یکہِ گرٕ یکہِ رَتھ یُن۔ دَگہِ رَتھ یُن۔

رَتہٕ گنٛڈ۔ ا۔ اَکہِ قِسمُک پھپھر۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) یُس سَخ پأٹھۍ اَگادِ گژھہ یا ستادٕ تلہِ۔

رَتہٕ لَل۔ رَتہٕ ستۍ بُرتھ گوژٕریا گھوٕ موگاڈٕ ہش۔

رَتہٕ مُتھ ہیُۆ۔ ووزُل نار ہیُۆ۔ یُس رَتہٕ رَنٛگہٕ بُتھ آسہِ۔

رَتہٕ ہوٗن۔ ا۔ ہوٗن یُس موٗگر کھوان کھوان خۆنٕس اَنٛد رٕلتھ وَنہٕ آسہِ آمُت۔ سُہ ہوٗن یُس رَنٛج ترٛیش آسہِ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) سُہ شخص یُس مکٕرِس آسہِ پیٚومُت۔ یُس لۆکن پھپنہٕ آسہِ لاروان۔ تنٛگ آسہِ گران۔

رَتھ اَنُن۔ (چھوکہ دِنہٕ ستۍ یا لأے لأے) خۆن پھاٹہٕ ڈُن۔

رَتھ بانٛدِ گژھُن۔ دَبہٕ بیترٕ ستۍ نہٕ خۆن اورٕ یورٕ پکُن تہٕ اَکے جایہِ شُٹھُن۔

رَتھ تہٕ ماز۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) پنُن نُو منٛز۔ پُنُن یُس ستۍ خۆنۍ رِشتہٕ آسہِ۔

رَتھ تیٚپہِ وَسُن۔ خۆنٕس دِگۍ لگٕنۍ۔

رَتھ ٹھینٛچہِ وَسُن۔ خۆنٕس دار لگٕنۍ۔

رَتھ کڈُن۔ ا۔ ژٕبہٕ بیترٕ دِتھ علاجہٕ یا سزا پُوٚھۍ خۆن پھاٹُون۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) سَخ کام گرناوُن۔ تیٚز کام گرناوُن یتھ زَن گرَن وول لۆستھ پیٚیہِ۔

رَتھ کھارُن۔ (وَرگہٕ) ژکھ کھارٕنۍ۔ شرار تھ کھارُن۔ غوصہٕ کھارُن۔

رَتھ گرٕ یکہِ کھارُن۔ (وَرگہٕ) سَخ ماردیُن۔ تیُتھ تنٛگ گرُن یُتھ وأنٛج پھٹُس پیہِ۔ سَخ تنٛگ گرُن پھمب کھارٕنۍ۔

رَتھ وَنڈُن۔ بلایہِ لگُن۔ چھپہِ لگُن۔ قوربان

سَپدُن۔ کانٛسہِ پَتھ ژُودیُن۔
رَتھ والُن۔ ۱۔ چھوکہِ لَد کرُن۔ ۲۔ سَخ ٹھُکراوُن (کام کرناوِتھ یا پڑٕژھ گاٹرٕ گرٕی کرٕی)۔
۳۔ (وَرگہِ پاٹھی) سَخ ژُونٛی۔
رَتھ ہیوُن۔ ۱۔ (وَرگہِ)۔ پزٕنہِ پیٹھی کام کرناوُن۔ کام کرٕی کرٕی ٹھکراوُن۔ ۲۔ (وَرگہِ) سَختی کرِتھ بوٗزِتھ ہیوُن۔ قِصاص ہیوُن۔
رَتھِ۔ رَتھِ کھسُن۔ وارِ وَتہِ لَگُن۔ شوٗب ہنٛز۔
رَتھ کھارُن۔ وارِ وَتہِ لاگُن۔ شوٗب اَنٛز۔
رَتھِ کھوٗتمُت۔ وارِ وَتہِ لوٗگمُت۔ یتھ شوٗب آمُت آسہِ۔
رَتھِ۔ ن۔ موٗل: رَت < س: رَتھ]۔ اَکہِ قِسمُچ بگی یتھ ژور گرٕی لَمان آسی۔ یہِ آس جنٛگن منٛز تہِ لَگان۔
رَتھِ بان۔ رَتھِ چلاوَن وول۔
رَٹہِ رَٹھ۔ ۱۔ بَر کرُن والین ژھینہِ ژھین۔
رَٹہِ رَٹھ۔ ۲۔ تولُس تول۔ وَزنُس برابر وَزن۔ مِ: اولوٗ چھُ رَٹہِ رَٹھ کنان۔
رَٹہِ ووٗٹ۔ وَزنہِ تلہِ تیوٗتاہ کُپر یوٗت اَتھر یا بیر وودرِس بیترِ دیُتمُت آسہِ۔
رَٹُن۔ ن۔ موٗل: رَٹ]۔ ۱۔ اَتھس منٛز تھوٗن بٕنیس ہیتھ تھوٗن۔ ۲۔ شانٛپن۔ اَتھس منٛز اَنُن۔ سامُن۔ مِ: ژھسہِ رَٹُن۔ ۳۔ (وَرگہِ پاٹھی) دیُن بنٛد کرُن۔ رُکاوُن۔ مِ: گاوٕ ہُنٛد دود رَٹُن۔ ۴۔ وٕپُن۔ مِ: تَس توگ نہِ رَٹُن۔ ۵۔ تَھپھ کرنہِ ہنٛز تصرُف کرُن۔ مِ: روٗٹُن ووٗنی ٹلہِ نہِ تھپھے۔ ۶۔ زورِ تَھپھ کرِتھ نیُن۔ مِ: بیگارِ رَٹُن۔ ۷۔ بنٛد کرٕژھن۔ مِ: کھمبن رَٹُن۔ ۸۔ چھٕہہ کھارُن۔ اِلزام دیُن۔ مِ: گتِھ پٹھ رَٹُن۔ ۹۔ گرفتار کرُن۔
رَٹُن بانہِ۔ (وَرگہِ) حاصِل کرنٕچ اَہلیت رَٹنک شوٗنٛڈ۔
رَٹناوُن۔ ۱۔ (پُلِسس اَتھِ) گرفتار کرناوُن۔ قوٗبوٗ ہَس منٛز اَنہِ ناوُن۔ ۲۔ کانٛسہِ اَتھِ تھپھ کرِتھ نوناوُن۔
رٔٹٕ رٔٹٕ۔ ۱۔ ٹھہری ٹھہری۔ پزٕ اَری پزٕ اَری۔ اَستہِ اَستہِ۔ مِ: آب چھُ رٔٹٕ رٔٹٕ وَسان۔ ۲۔ اَتھس تھپھ کرِتھ مِ: اَتھِ رٔٹٕ رٔٹٕ ہیچھنووُمت۔ ۳۔ کنٛہہ تام کنٛہہ تام۔
رَٹھ۔ ۱۔ رُکاوٹھ۔ اَٹھکاو۔ ۲۔ تھپھ۔ لَٹھ۔ تصرُف۔ مِ: تٔمس چھےٚ رَٹھ۔ ۳۔ وَزنُس برابر۔ وَزنُس ستی وَزن۔
رَٹہِ ورٕس۔ کُنہِ رُکاوٹہِ وَراے۔ بےٚ روک ٹوک۔
رَجَب۔ ن۔ موٗل: رَجب < ع: رجب]۔ ہجری سَنہِ حِسابہٕ ژٕرٕی یک سَتٕیم ریتھ۔
رَجعت پَسنٛد۔ < ع: رجعت+ف: پَسند]۔ یُس تَرقی بَرخلاف آسہِ۔ یُس زَمانُس پَتھ نیُن یژھ۔
رَجَر۔ ن۔ موٗل: رَجر < ف: رَگ]۔ پلوٗس بیترِ ووٗنٛس اَنٛدر رَگ آسنہِ۔ داغ یا نوقص بیترِ یُس پلوٗس ووٗنن وِزِروزان چھُ۔
رَجسٹَر۔ م۔ موٗل: رَجسٹ < انگ: رَجسٹر Register]

کتاب یَتھ پٹھ کُنہِ قسمک اِنداراج آسہِ۔
یَتھ پٹھ کانٛہہ چیز دَرِج کرنہٕ ییہِ۔ کھاتہٕ۔
رَجسٹری۔ا۔چھٹۍ یا پارسلہٕ بیترٕ یُس ڈاکخانچہِ ہی پٹھ
دَرِج آسہِ تہٕ یَتھ رٕسید دِنہٕ ییہِ۔۲۔وِچھِو۔
''رَجسٹر۔''
رَجسٹرڈ۔ا۔دَرِج کرنہٕ آمت۔کتابہِ پٹھ تارنہٕ
آمت۔۲۔چِٹھۍ بیترٕ یوسہٕ ڈاکخانہٕ چہ رَجسٹری
پٹھ دَرِج آسہِ تہٕ یمہِ باپتھ چِٹھۍ رٕٹن وٲلِس
رٕسید ہِنہٕ ییہِ۔
رَجسٹرار۔رَجسٹر کرن وول۔اِندراج کرن وول
اَفسر۔حِساب کِتاب تھوَنک اَفسر۔
رَجسٹریشن۔دَرِج کرُن۔رَجسٹری کھارُن (ناویا
کانٛہہ چیز بیترٕ)۔
رَجوٗل۔<ع: رَجُل] تصرُف دَر۔موگُل۔پاسِکھۍ دَر۔
رَجز۔ن۔موٗل: رَجز<ع: رَجز]۔ا۔بٲتھ یُس جنگس
اَنٛدر پرنہٕ ییہِ۔۲۔شاعِری اَنٛدر۔اَکھ بحر۔
رَجمنٹ۔م۔موٗل: رَجمنٹ<انگ: رَجمنٹ Regiment]
پیدَل فوج سوٗ بَڈ پلٹن یمیُک کمانڈر کرنٲل
آسان چھُ۔
رَچھِ پُنِم۔م۔موٗل: رَچھِ پُنِم<س: رَکشا+پورنِما]۔
رَکشابَندَن۔ہِنٛدِ بن ہُنٛد اَکھ بوٚڑ دوہ یُس
شرٛاونہٕ پُنِم دوہ مَناوان چھِ۔
رَچھُن۔ن۔موٗل: رَچھ<س: رَکشَنہ]۔ا۔بلایہِ بیترٕ
نِشہٕ بچاوُن۔حفاظتھ کرٕنۍ۔راچھ کرٕنۍ۔
۲۔پالُن۔پرٕورِش کرٕنۍ۔۳۔اَتۍ تھوٗن۔ٹلتھ
تھوٗن۔۴۔(چیزَس بیترٕ) قدر کرٕنۍ، رٕژھرُن۔
۵۔بچاوِتھ تھوٗن۔پلہِ تھوٗن۔
رَچھن دَگ۔وِچھِو۔رَچھن دود۔''
رَچھن دود۔یُس روچھمُت پولمُت آسہِ تو ہُنٛد
ژُک مارے۔محسبتھ۔
رَچھن ہار۔رَچھن وول۔پالَن وول۔پرٕورِش
کرن وول۔پروردِگار۔
رَچھ وٕنۍ۔پانٛسہٕ بیترٕ یم رَچھنَس دِنہٕ ین۔پٲہلی
بیترٕ ہِندی پانٛسہٕ۔
رَچھوٗن۔یُس رَچھِ۔رَچھن وول۔
رَچھن ژھٕنُن۔کانٛسہِ نِش رَچھنہٕ باپتھ ترٛاوُن۔
کانٛسہٕ ہِنٛز خبر گیری تل تھوٗن (شُر، پوٗش بیترٕ)۔
رٕچھ رٕچھ تھوٗن۔ا۔رٕژھراوُن۔ٹلتھ تھوٗن۔
۲۔پلہِ تھوٗن۔خرچ نہٕ کرُن (پونٛسہٕ ٹوٗنک بیترٕ)
رَحم ا۔ن۔موٗل: رَحم<ع: رَحم]۔زَر زَر۔آر۔اِنصاف
رَحم دِل۔یُس کانٛسہِ ہِنٛدِ زَر زَر گژھہ۔آری۔یَس
اِنصاف گژھہ۔
رَحم کرُن۔کانٛسہِ معافی دِنۍ۔بخشُن۔
رَحم ۲۔شُری بانہٕ۔بچہ دانۍ۔
رَحمتھ۔م۔موٗل: رَحمت<ع: رحمۃ]۔ا۔مہربٲنی (خودایہ
ہِنٛز)۔۲۔برکتھ۔

رَحمتہُ لِلعالمین۔ تمام عالمن ہِندِ خاطرِ رَحمتھ۔ حضرتِ محمدؐ صابُن اَکھ لقب۔

رَحمتِ باران۔ رؤدیُس سبٹھا بسَر آسنہٕ پتہٕ پیٚیہٕ۔ رؤدیُس موقس پتھ سبٹھا پزارنہٕ پتہٕ پیٚیہٕ۔

رَحمان۔ ن۔ مؤل: رَحمان >: رحمان]۔ سبٹھا رحم کرَن وول۔ خوداتعالا سُند اَکھ صفتی ناو۔

رَخ، رَخت۔ ن۔ مؤل: رَخ > ف: رخت]۔ ۱۔ پلَو۔ پوشاکھ۔ ۲۔ پأراو۔ سِنگار۔

رَخت کرُن۔ ۱۔ پان پأروُن (کانٛہہ خاص پلَو لأگِتھ)۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی)۔ رِپ دارُن۔

رَختِ سَفر۔ ۱۔ سَفرُک پوشاکھ۔ ۲۔ (ورگہٕ)۔ سَفرِچ تیأری۔

رَخچِہ۔ > ف: رخش ]۔ ۱۔ گُر۔ ۲۔ رَخش۔ رُستم سِنٛدِس گُری سُند ناو۔

رَخنہٕ۔ ن۔ مؤل: رَخن > ف: رَخنہ]۔ ۱۔ ٹھونٛٹھ۔ ۲۔ نوقص عأب۔

رَخنہٕ تراوُن، ٹھونٛٹھ اَنٛنۍ۔

رَد۔ مؤل: رَد > ع: رَد]۔ ۱۔ منسوٗخ۔ ۲۔ ضایہٕ۔

رَد بَدَل۔ اَدلابَدلی۔ اورُک یور۔ اُلٹا پلٹھ۔ تبدیٖلی۔ ژٹہٕ واٹھ۔

رَد کرُن۔ (کٔتھ یا فأصلہٕ بیترِ) نہٕ مانُن۔ نامنظور کرُن۔

رَدولہٕ۔ مؤل: ردول >؟]۔ رٕ ذیٖلہٕ۔ کھوٗر۔ سپوٗل (شُر بیترِ) رانٛڈ۔

رَدولہٕ گی۔ (شُرِس بیترِ ہنٛز) رَذالتھ۔ رانٛڈِ گی۔ گھٔرِل

رَڑ ا۔ رَڑ۔ ن۔ مؤل: رَڑ > س: ہز د]۔ سُہ آپہٕ کھشارٕ یُس پأنٛس ستۍ گنہٕ بیترٕ ڈُلہٕ والہٕ۔

رَڑ وَسُن۔ ہکہٕ وَسُن۔ کھشارٕ وَسُن۔ ہکہٕ ؤستھ پأنٛس ستۍ ڈُلہٕ بیترٕ والُن۔

رَڑ ۲۔ ن۔ مؤل: رَڑ > س: رُدھکہ]۔ ۱۔ یُس کامہٕ بیترِ ٹھونٛٹھ اَنہٕ، ہرجہٕ کرٕ۔ ۲۔ سانٛگ، ڈامب۔ مُچلہٕ۔

رَڑ لاگُن۔ مُچلہٕ لاگُن۔ ڈامب تراوُن۔

رَڑ ۳۔ ہگرٕ کس ڈُلس بُتھہِ آمُت گاسہٕ بیترٕ یُس نہٕ اَتھ بزونٛہہ پکنہٕ دِیہٕ۔

رَز۔ م۔ مؤل: رَز > س: رَجُہ]۔ ۱۔ سبٹھُہن لَرَن وٕٹھتھ یا وَرِتھ بنوومُت ڈورِ ہیوٗ۔ سونہٕ داو بیترٕ یتھ کانٛہہ زیوٗر الونٛد یاوٕرِتھ آسہٕ۔ ۲۔ رِشتُک زیوٗٹھ سِلسلہٕ۔ ۳۔ یتھ نہٕ تھکھ آسہٕ۔ اَژھین۔

رَزَن کھٔسُن۔ ۱۔ سَخ گرٕ کہٕ دِنہٕ۔ شرارتس لاینہٕ یتھ سَخ شور کرُن۔ سَخ روپہٕ داب کرُن۔ ۲۔ داد بیترٕ ستۍ چانٛچہٕ نور کرُن۔ ژرٕنگ دِنۍ۔

رَزِ کھارُن۔ ۱۔ (ورگہٕ) پھٔہہ دِیُن۔ الونٛد ژھٔنُن۔ ترٕو دِتراوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ) شِکناوُن۔ مامِلہٕ بڈراوُن۔

رَزٕ رازمَہا۔ رازمہَن ہُنٛد اَکھ قِسم۔ یمَن چھےٚ زیٖچھِ

ہمہٕ آسان۔

رٕزگٕز۔۱۔(وَرگہٕ) مارگنڈ ہٕٹھ ئین۔ چوب دِنۍ۔ ربط ضبط۔۲۔ سَخ پرٕژھ گاٗر۔

رٕز گوٗر۔ یُس رٕز وُٹھنگ تہٕ کِنہٕ نک کارٕ بار گران آسہٕ۔ یَس رَزَن ہُند کارٕ بار گرُن پیشہٕ آسہٕ۔

رٕز ہوگاڈ۔ سو گاڈ یوسہٕ پٔٹھرَ نےٚ رٕز پیٹھ ہوکھناونہٕ آمٕژ آسہٕ۔

رٕز ہیر۔ رُمہٕ موٗٹ۔ اَکھ ہیرٕ قسم یتھ رٕز بَنان چھےٚ۔

رَز ڈٕ زمگر وَردٕ ژاس نہٕ۔ تہٕ ڈٕیتھ گو یُس مۆلہٕ ہوٗل آسہٕ تَس گژھی تَن خبر کیا تہٕ تَس چھنہٕ پُزٕ ہَن ژلان۔

رَز گرٕنۍ۔۱۔ رَز گنڈٕنۍ۔ رَز تارٕنۍ ۲۔ رَزٕ وٕٹھنۍ۔ رَز بَناوٕنۍ۔۳۔ گنڈِتھ ئین۔ ہٕٹھ ئین۔۴۔ پانٛس کُن پھِرُن۔ پنٕنہٕ وَتہٕ کُتھِ تھوٗن۔

رزاق۔ن۔ مۆل: رزاق <ع: رزاق ]۔ رِزق دِنہٕ وول۔ اَنہٕ داتا۔ خوداتعالا سُند اَکھ صِفتی ناو۔

رَزٕ گون۔ مۆل: رَزٕ گون <س: رجوٗگنہ ]۔ حَرکتھ منٛز آسنٕک وَصف۔ کاٗم، کرٕ دتہٕ لوٗب آسنٕک وَصف۔

رَژاوُن۔ رَنگ پُشاوُن (توٗن رَنگ گرنہٕ باپتھ) پھیرِ پھیرِ کانٛہہ ترٕل رَنگ کرٕناوُن۔

رَژھ۔۱۔ اَکہٕ کُلیک دانہٕ یُس وَتہٕ بَدَل لگان چھُ۔ ۲۔ وَزنہٕ سوادٕ دانہٕ۔ تولُک ہیٚم چھہٕ۔ ۳۔ (وَرگہٕ پاٹھی)۔ پوٗشنا۔ مویا۔ سٮ۪بٹھا کم۔

رَژٕ رَژٕ۔۱۔ وارٕ وارٕ۔۲۔ ہَنہٕ ہَنہٕ۔

رَژٕ پھوٗل۔۱۔ اَکہٕ کُلیک وۄزلہٕ رَنگہٕ دانہٕ۔ یہ چھُ تارٕژِ تولنس لگان۔۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) وۄزُل تہٕ ماریُ مۆنٛڈ۔ م: رَژٕ پھلی وُٹھ۔

رَژھا گرٕھتھ۔ کینژٕ کالہٕ پتے۔ ذرا ٹھہر تھ۔

رَژھ ہَن۔ رَژٕہَن۔۱۔ سٮ۪بٹھا کم۔ موے کھنڈٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کم زیادٕ۔ رَژھ کھنڈٕ۔ م: ژٕگہٕ چھس رَژٕہَنا فرق۔۳۔ (وَرگہٕ پاٹھی) پٕنژَس کھنڈَس۔ کینژس کالس۔

رَژھ موے۔۱۔ کُنہٕ چیزٕچ مویا اَکھ۔ اَکھ پوٗشنا۔ ۲۔ ہَن دانٛۍ۔

رَژھر۔ن۔ مۆل: رَژھر <س: رِکت ]۔ ژھر بر۔ ژھوراپچ حالتھ۔ چھونبر۔

رَژھررس۔ن۔ مۆل: رَس <س: رَس ]۱۔ ترٕل مادٕ یُس موٕن، سَبزی بیترِ منٛز آسان چھُ۔ شیرٕ۔ کُنہٕ چیزٕس چیرتھ کڈٕمُت ترٕل مادٕ۔ پھنیار۔ سہٕ ترٕل مادٕ یتھ منٛز سبزی، ماز بیترِ رَنہٕ آسہٕ آمُت۔۲۔ سہٕ پونۍ یُس رَنہٕ وِزِ سبٕنس تراوان چھُ۔ ۳۔ مزٕ، ٹھَس۔ م: آرٕ ولہٕ ژےٚ کٹنژٕ لۆ گیو رَس۔ ۴۔ مَس۔ م: سۆم رَس۔ ۵۔ سہٕ مادٕ یُس کُنہٕ چھوگس بیترِ پیدٕ ان آسہٕ۔

رَسہٕ بۄ رُت۔۱۔ رَسدار۔ میوٹھ تہٕ مزٕدار (کانٛہہ موٕ بیترِ)۔۲۔ لطیف خوش گرٕدُن۔ (باتھ بیترِ)۔

۳۔ یتھ ژوٗرٕ رس آسہِ (سٔتین بیترِ )۔۴۔ رَسہٕ ستی نہٕ آمُت۔

رَسہٕ ژٕمُن ۔مَدٕ وُسُن ۔ پیری مَشنی۔

رَسہٕ وُسُن ۔ا۔ (کُنہِ اَدرٕ چیزُک) پپُن۔ پوٗٹھُن۔ ہوکھُن۔ وأنسہٕ یُن ۔۲۔ یاوُن سورُن۔۳۔ رَسہٕ ژٕمُن۔

رَسہٕ ووتھمُت ۔ پھاتیوٗمُت ۔ مَدٕ ووتھمُت ۔ پَپیوٗمُت۔

رَسہٕ یُن ۔ا۔ قرارٕ قرارٕ یا آہستہٕ آہستہٕ یُن۔ ۲۔ موٗس بیترِ طراوتھ پھیرٕنی۔ موٗ پپُن۔ ۳۔ کھنہٕ چنکی چیز چھاوٕنی۔

رَس بَنٛس ہأل گژھنی۔ مِیٹھس تہٕ مزٕدار کھنٛبس عادتھ سپدُن۔ واز وانٛج پبد اژٕنی۔ م: دستار خانٛج اُدِج اژٕنی۔

رَس پیوٗن ۔ا۔ موٗس بیترِ اَندرٕ شیر گژھُن۔ موٗ بیترِ پَنٛپس واتُن ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بالغ گژھُن ہیوٗن۔ بالغی منٛز قدم تراوُن۔

رَس پھیوٗر ۔ا۔ رَس قطرٕ۔ رَس رَژھا ۔۲۔ رَس مویا یٔیمہٕ ستی بتہٕ کھنہٕ پیہ تہٕ ہوٗ دہوٗ کھرٕ وزِنہٕ۔

رَس دار ۔ا۔ رٔسیٖل۔ یتھ جان منٛز آسہِ میوٗٹھ۔ ۲۔ یتھ جان رَس آسہِ تہٕ خوشکھ آسہِ نہٕ۔

رَس دیُن ۔ا۔ چایہِ بیترِ پاکہٕ کڈتھ پٔیہٕ آب تراوُن تہٕ گژھ کھ اَنُن ۔۲۔ کھیاوٗنس چاوٗنس گُن لٲرِ گژھ بے خبر تھوٗن۔

رَس ژٕمُن ۔ بِنٛس بیترِ پاکھ دِنہٕ ستی رَس شرٕ پُن۔ رَس شرٕ پنہٕ کنی موٗتُن۔

رَس گرُن ۔ا۔ کُنہِ زَخمس یا چھوکس بیترِ نوسرٕ زُوأ ژِتھ پاکھ گژھُن ۔۲۔ فصلس بیترِ جان پاہ تہٕ پلالہٕ واتنہٕ کنی دانہٕ پوٗٹھُن۔ فصلہٕ بیترِ ٹیک جہار۔ زوٗ گرُن۔

رَس گت ۔ رَسس منٛز بوڈ وَنہٕ آمُت یا کژ وَنہٕ آمُت۔

رَس کیٖسر گرُن ۔ شرمنٛدٕ گژھُن۔ خَجل زَدٕ گژھُن۔ بُتھ دیُن لایق نہٕ روزُن۔

رَس کیٖسرِ گژھُن ۔ سیٹھاشرمندٕ گژھُن۔ خجل زَدٕ گژھُن۔ بُتھ دیُن لایق نہٕ روزُن۔

رَس گژھُن ۔ا۔ کُنہِ زَخمس یا چھوکس بیترِ اَندرٕ توٗن گنٛدٕ مادٕ سُمن ۔۲۔ سِنٛگ رَس موٗتُن۔

رَس لگُن ۔ا۔ آننٛدٕ یُن۔ سادیُن۔ مزٕ یُن ( کلمہٕ کاررس یا کھنٛبس چنٛس) ۲۔ لیٖن گژھُن۔ مُحوٗ سپدُن۔

رَس مینٛتھ تہٕ ناٹہِ گنٛزٕ رِتھ۔ تہٕ دٔیتھ گوسورٕے کینٛہہ توٗلتھ تہٕ مینٛتھ۔ یتھ ہُر بر یا چھونبر گرِتھ ہیٚکہِ زِنہٕ۔ بلکل بوٗزِتھ شوٗ ژِتھ۔

رَس تأر ۔ ہی گرِتھ بُڈ پہن وأر۔ بوسہٕ رَس بیترِ بأگرنس لگان آسہِ۔ کتلہٕ چالہِ گترِ ونأر۔ ہی تأر۔

رَسَد ۔م۔ مؤل: رَسد حف: رَسَد ]۔ا۔ حِصہٕ بوگ۔ ۲۔ راتب ۔۳۔ اَناجک بیترِ سہٕ حِصہٕ یُس کأنسہِ سرکارس نِش مِلی ہینٛگ حق آسہِ۔

رَسَد کَڈٕنۍ ۔۱۔ پھالوٕتھ دِنۍ ۔ تہٕ دِیُن یہِ حِصہٕ زٕنگی
کھَسہٕ ۔۲۔ (رَسُزخاطر شالی سٹورِ بیترِ منٛز)
فارم کڈٕن ۔

رَسَد گرٕنۍ ۔۱۔ حِصہٕ پھالوٕن ۔۲۔ کھنڈرن سوٚمبرٕنۍ ۔
یَس نِش یہِ واتہٕ تس تہٕ ہیٚون ۔۲۔ فوجس بیترِ
کیٚت کھین چَن لوٚگن پھالوٕن تہٕ ہیٚون ۔

رَسَد کھارٕنۍ ۔ چینٛدِ پٹھ راشَن اَنُن ۔ گاٹھِ پٹھِ
چینٛدِ توٚمُل بیترِ کھارُن ۔

رَسامَسا ۔ مَنہٕ ناوان ۔ مَنہٕ ناوان ۔ آٹھٕ واٹھٕ اَنۍ اَنۍ ۔

رَسائے ۔م ۔مؤل: رَسائے <ف: رسایی ] ۔ پوٗنچھ ۔
پلَن ۔ کانٛسہِ ہنٛدِ لحاظٕ کانٛسہِ تام ٹٕکھ ۔

رَسہٕ ، رَسے ۔ <س: رَسہ ] ۔ اَسان اَسان ۔ وارِ وارِ ۔
تکلیفہٕ وَرأے ۔

رَسہٕ اَنُن ۔۱۔ کانٛہہ اَسان رٕنٛدان وارِ وارِ اَنُن ۔
۲۔ وو لسنس اَنُن ۔ کانٛسہِ مالٕ پھیرُن ۔ کُنہِ
اَنٛدر رِدلچسپی ہوٚناوُن ۔

رَسہٕ بہُن ۔ سیٚزٕ وَرأے بہُن ۔ قرارٕ بہُن ۔ ژھوٚپہٕ دوپہ
کٔرِتھ بہُن ۔

رَسہٕ پأٹھی ، رَسہٕ پأٹھن ۔ لوتہٕ پأٹھی نَنبر گرٛھنہٕ روس ۔
ژھوپہٕ دوپہٕ کٔرِتھ ۔ مِ: رَسہٕ پأٹھی پلنووٗنس
روپیہ ہتھ ۔

رَسہٕ رَسہٕ ۔۱۔ ہَنہٕ ہَنہٕ ۔ اَستہٕ اَستہٕ ۔ قرارِ
قرارِ ۔ ٹھہری ٹھہری ۔۲۔ مزٕ مزٕ ۔ وارِ وارِ ۔

رَسہٕ مَسہٕ ۔ اَسان تہٕ رٕنٛدان ۔ مزٕدار پأٹھی ۔ لوتہٕ پأٹھی ۔

رٕسر ۔م ۔مؤل: رَسر <س: رَس لفظٕک ژھوٚٹر ] ۔
۱۔ دیگ ۔ لیٚول ۔ سیٚنٛن رَنٛنک گترِیوٗ بانہٕ ۔
۲۔ گرٕ کہ دِیُن آب ۔ بُسر ۔ پھُسر ۔

رِسر پٔینٛجۍ ۔ (دوہو) بگہٕ بگہٕ گروٗن پونۍ ۔ ژمہٕ پٹھ
پیٚون ۔ پھُسر وٕسنۍ ۔

رٕسر ژٕہنۍ ۔ (کانٛسہِ) گرٕکہ دُن پونۍ پٹھ ترٛاوُن ۔
پھُسر وانۍ ۔ بُسر ترٛاوٕنۍ ۔ (یہِ چھُ دوہو تہٕ) ۔

رَسرِ بَتہٕ ۔۱۔ گترِ ودِیگہ منٛز روٗمت بتہٕ ۔ پُنہٕ بتہٕ یُس
لوسہٕ دِوان چھِ ۔۲۔ پٔچھِہ دِوُن بتہٕ ۔ یتھ دُنہٕ
باہہٕ دِرٛامُت آسہِ نہٕ ۔

رَسرِ دونۍ ۔ گرٕکہ گرٕکھ گروٗن آب ۔

رَسم ۔ن ۔مؤل: رَسم <ع: رَسم ] ۔ روش ۔ رِواج ۔

رَسنۍ ، رَسن ۔م ۔مؤل: رَسن <س: رَسنا ] ۔ زیو ۔ مزٕ ۔
مِ: یہِ رَسنہٕ ووٚژ رُم تہٕ منٛتھر (لل دید) ۔

رَسُن ۔ن ۔مؤل: رَس <س: رَس ] ۔ رَس گرُن (موٚک
بیترِ) ۔ جہار گرُن ۔ (فصلٕک بیترِ) ۔ ژور رَس
گوٚڈھُن ۔ رَس داربُن ۔

رَسوے ۔م ۔مؤل: رسوے <س: رسوی ] ۔۱۔ سولہار ۔
۲۔ (وَرگہ پأٹھی) رٕنُن پاکوٗن ۔ کھینہٕ چیٚنکی
چیز انٛنۍ ۔

رَس اَشُد ۔ن ۔مؤل: رَس اَشُد <س: رَسہ + اَوشِدَھ ] ۔
اُرکس بوٗٹہٕ آبس ہنٛدی گِتھ بنووُمت دَوا ۔

رَستہٕ ۔ن۔مؤل: رَستہ <ف: راستہ ]۔رُج۔تگ۔

لٲن۔مٕ: تتہٕ اوس بمارَن ہُندرَستہٕ لۄ گمت۔

رَستہٕ لگُن۔رُج لگنۍ۔وارِیاہ لۄکہ چھوکہٕ چھوکہٕ ہۄلۄسہٕ چالہٕ پکنۍ۔

رَس رۄزی نہٕ۔<ف: رَسَد+روزینہ]۔راتب۔ دوہِ دِشک غذا۔

رَسمِ خط۔ن۔مؤل: رَسم خط <ع: رَسم الخط ]۔ اَچھرَن ہنٛز لیکھن ترٲے۔سکرِپٹ۔

رَش۔ن۔مؤل: رَش <انگ: رَش: Rush ]۔ا۔بٕرٕ بارٕے۔گاڑٕن یا اِنسانَن ہِنٛزٕ ہُند سَخ پٲٹھۍ یُن گوڑُن۔۲۔ترٕپہٕ ترٕپھ۔۳۔تیزی۔جلدی۔ دوڑٕ دور۔

— رَشادَتھ۔ا۔ہبدایتھ۔۲۔(وَرگہٕ) چالاکی۔

رَشادَتھ وَنٛنۍ۔چالاکی وَنٛنۍ۔چالبٲزی ہاونۍ۔

رَشک ،رَشکہٕ۔ن۔مؤل: رَشک <ف: رَشک ]۔ خارٕ۔تیٚول۔عداوتھ۔دُشمنی۔

رَشُن۔ن۔مؤل: رَشُن <س: رَشنا ]۔زَنانہٕ ہُند ہلہٕ گنڈُن۔زَنانَن ہنٛز کمبرَس گنڈنٕچ لونگی۔

رَشوَتھ۔ن۔مؤل: رشوت <ع: رشوۃ]۔پیٹھٕ ووٚنۍ۔

رَشوَتھ سِتٲنۍ۔کۄژھ دیُن یا ہیوٚن۔

رَشوٕ۔رَشوَتھ۔

رِشوٕ بُزُن۔کۄژھ دیُن۔

رَضاے۔مٕ۔مؤل۔رَضاے <ف: رَضایی]۔لوژ لیف۔

گمٕ پھمب برٕتھ ؤرٕنۍ پَلَو۔

رعشہٕ ۔راشہ۔ن۔مؤل: رعشہٕ <ف: رعشۃ ]۔تھرٕ تھرٕ۔تٔنٛنۍ۔اکہٕ بمارِ ہُند ناو یَتھ اَندٕر اَتھن کھورَن تٔنٛنۍ آسان چھےٚ۔

رعنا۔رانا۔مؤل: رعنا <ع: رعنا]۔شوٗبہٕ ؤن۔لۄبہٕ ؤن۔

رَغبتھ۔م۔مؤل: رَغبت <ع: رغبۃ ]۔مٲل۔کُنٛج خاہش۔ کلٕنٛگ شوق۔منٛگ۔طلب۔

رَف (رَف کاپی)۔مؤل: رَف <انگ: رَف۔Rough]۔ سوکٲپی یا کاکَد یَتھ پیٹھ اَزمٲیشہٕ پٔھرۍ گوڈٕ کانٛہہ سوال بیترِ لیکھان چھِ تہٕ پتہٕ اصل کٲپی پیٹھ تاران چھِ۔

رَفع دَفع۔مؤل: رَفع دفع <ع: رَفع+دَفع]۔نیاے بیترٕ ژھوٚٹراوُن۔جگٕرٕ یا مامَلہٕ ختم کَرُن۔گتھِ ڈُرُن ژھنُن۔

رَفع یَدین۔ن۔مؤل: رَفع یَدین <ع: رفع یدین]۔ نمازِ منٛز تکبیر پَرَن وِزِ اَتھٕ ژِتھوٚ دٔنٛنۍ۔

رَفل ا۔م۔مؤل۔رَفل <ہ: رَفل]۔اَکھ گرٕم کپُر۔

رَفل ۲۔م۔مؤل: رَفل <انگ: رایفِل۔Rifle] بۄنٛدوٗق۔

رَفاقتھ۔م۔مؤل: رَفاقت <ع: رفاقۃ]۔ہَم دَردی۔ اَتھٕ روٹ۔حاجتہٕ وِزِ اکار بَکار یُن۔

رٲفض۔ن۔مؤل: رٲفض <ع: رٲفض]۔وَفادٲری بدلاونۍ۔ سَردارَس دوکھ دِتھ ژٕلُن۔ترٲوُن۔

رَف تبٲہی ۔مؤل: رَف تبٲہی۔ <ع: رفیع+ف: تبٲہی ]۔ا۔آوارٕ۔وَنہِ راوُل۔دَربدٕری لَد۔ پھنٲری۔۲۔لاپَرواہ۔مَنَدل مَس۔

رَفتنی۔<ف: رَفتنی]۔مَرنہٕ سَر۔

رَفتار۔مؤل: رفتار <ف: رَفتار]۔ا۔پَکنچ تڑاے۔اَند از۔ چال۔۲۔ژوتری۔۳۔توژھ۔ ہیکتھ۔طاقتھ۔

زُو۔مِ: بیمارِتھوٗوُس نہٕ کانْہہ رَفتار۔

رَفرَف۔ن۔مؤل: رَفرَت <ع: رفرفتہ]۔سوسَوٲری یَتھ کھٔسِتھ آنحضرَتؐ معراج کوٗر۔

رَفری۔مؤل: رَفری <انگ: ریفری:Referee] سُہ یُس گِنہٕ کھیلہِ منٛز دون دَرٕین موٗقس پیٹھ فٲصلہٕ کَرنس آسان چھُ۔(کھیلہٕ ہُند) فٲصلی۔

رَفگر۔مؤل: رَفگر <ع: رَفوٗ+ف: گر]۔ا۔یُس پلوٗس بیترِ ہیوٗنہٕ ستی پوٗٹ بیترِ چھاوِپوٹ چھاوَن وول۔۲۔روفوٗگُر۔یُس پلوٗس روٗف گرِ۔

رَقم۔ن۔مؤل: رَقم <ع: رَقم]۔ا۔عدَد۔۲۔روپیَن ہُند تیداد۔روپیہٕ۔ہارٕ۔دیار۔۳۔مال۔دَولتھ۔

رَقم تارُن۔ہارٕ واتناونہٕ۔(پُٹھٲٹھی) رَشوتھ دِنٛن، کوٗژھ دِنٛن۔

رقم کھیوٗن۔کانٛسہِ نِشہِ روپیہٕ رَٹنہٕ رشوَرٹُن۔دیار بٔرٕ کٔنی۔غبن کَرُن۔

رَقص۔ن۔مؤل: رَقص <ع: رَقص]۔نژُن۔گتھ۔

رَقصہِ طاوٗس۔نژنُک اکھ قسم۔

رَکاتھ۔رَکعت۔م۔مؤل: رکات <ع: رَکعتہ]۔نمازِ ہُندا اکھ حصہٕ یتھ اَندَر قیام۔رُکوٗع۔تہٕ سجدٕ چھِ یوان۔

رَکاگتھ۔م۔مؤل: رَکاکت]۔رَگڑٲلی۔غأبتھ غأبتھ رَکاکِتھ کرِنی۔کانٛسہِ ہنز غأبتھ کرِنی۔

رَکاکتی۔یُس کانٛسہِ ہنز غأبتھ کرِ۔

رَکشابَندَن۔م۔مؤل: رکشابندن <س: رَکشا+بَندھنہٕ] رَچھ پُنِم۔رُچھ گنڈنُک بوٗد دوہ۔

رَکشہِ۔ن۔مؤل: رَکش <انگ: رکشا۔Rickshaw] جاپٲنی۔جن رکشا]۔اکہٕ قسمُچ ترٕ پہیٖیل گاڑی۔

رَکھ۔م۔مؤل: رَکھ <س: رَکشِتہ]۔ا۔سرکارن تھاوُمُت محفوظ جاے کاہچرایہِ باپتھ۔۲۔محفوظ جنگل یا وَن۔

رَکھپال۔ن۔مؤل: رَکھپال <س: رَکشہٕ پالہٕ]۔راچھ کرَن وول۔رَچھن وول۔

رَکھتہٕ۔مؤل: رَکھ <س: رَکتہٕ] ووزُل۔

رکھتہٕ ژٔنڈُن۔ووزلہٕ زَنگہٕ ژٔنڈُن۔

رَکھت بیز، رَکھ بیز۔مؤل: رکھت بیز <س: رَکتہ بیج] اُرکس راکھسہٕ سُند ناو۔دَپان تٔسنٛدِس اُرکس اُرکس رَتہٕ قطرَس اوس اکھا اکھ جن بنان۔

رَکھیا۔م۔مؤل: رَکھیا <س: رَکشا] راچھ۔بچاو۔

رکھیا کار۔رَچھن وول۔

رَکھیا کٲری۔رَچھنٛچ کام۔راچھ۔

رَگ۔م۔مؤل: رَگ <ف: رَگ]۔ا۔بدَنس اَندَر سُہ

نارِیمہ مُنزٕ خوٗن دوٗر گران چھُ ۔ ۲۔ پَنہٕ بُرگن یا
پوشہٕ وٕتھرَن بیترِ ہنٛز راٚٹھ ۔ ۳۔ ژادرِ بیترِ اَنٛدر
بیٚنہِ ہُنٛد نوقص ۔ وونہٕ نَس اَنٛد رتارِ ہُنٛد نوقص ۔
۴۔ بانٛس بیترِ اَنٛدر رکانہٕ ہُنٛد شِگاف یا دُرز ۔
۵۔ زٕمینہٕ تَل آبک یا تیلُک دَر ۔ آنٛچ یا تیلچ
جوے ۔ ۶۔ کَنِن یا جواہراتَن بیترِ اَنٛد رٕ رِکھ ہش ۔
۷۔ خوٗنی رِشتہٕ مالِکہ وَتہٕ یا ماجہِ وَتہٕ اَشناو ۔
رَگن تہٕ نارَن واتُن ۔ وُچھو "رَگن رَگن پھیرُن" ۔
رَگن رَگن پھیرُن ۔ (کھینہٕ چیز بیترِ) پرتھ کُنہِ
اَنٛگس واتُن ۔ نارَن نارَن واتُن ۔ اَثر گڑھُن
رَگن رَگن واتتھ آسُن ۔ کانٛسہِ ہنٛز پوٗر پاٹھی خبر
آسٕنۍ ۔ ذاتُژ یا زہنٛز خبر آسٕنۍ ۔
رَگہِ پٹھ رَگ گڑھٕنۍ ۔ (کھورس بیترِ) وُتُن ہیٚو
گڑھُن تہٕ سَخ دَگ گَرٕنۍ ۔
رَگہِ پے ۔ رَگہٕ تہٕ نار ۔ اَکھ اَکھ رَگ ۔ پرٛتھ اَکھ
رَگ ۔ ۲۔ کٔنٛج اصلیتھ ۔ بُنۍ یاد ۔
رَگہِ پے کَڈُن ۔ ژٕ کٕنٛج خبر کَڈٕنۍ ۔ بُنۍ یاد کھرٕ گرٕنۍ ۔
اصلیتھ ثُرٕرٕوٕنۍ ۔
رَگہِ پے نیرُن ۔ اصلیتھ کھرٕ سپدٕنۍ ۔ بُنۍ یاد ننٕۍ ۔
ذاتُژ یا ذہنٛد پے لَگُن ۔
رَگہِ پاشہٕ ۔ اَشناوَن بیترِ ہنٛز پانہٕ واٚنۍ پامہٕ پام ۔
رَگہِ پاشہِ کَڈُنہِ ۔ ۱۔ پامہٕ پام گرٕنۍ ۔ پتیم بُزٕ وُٹھیم
نوٚن کَڈُن (پامہٕ ووٚتُر گرِتھ ۔ ۲۔ چھٕکٕ تہٕ کرِہنۍ

ژارٕنۍ ۔ پوٗر پاٹھی سام ہیٚنۍ ۔
رَگہِ پاشہِ نیرنہٕ ۔ پوٗر پاٹھی سام ہینہٕ یِنۍ ۔ ژار
سپدٕنۍ ۔ چھٕکٕ تہٕ کرٕہنٛز اَلگ نیرٕنۍ ۔
رَگہِ پھولنہٕ ۔ (وَرگہٕ) بوکہٕ پھولنہٕ ۔ سیٹھا خوش سپدُن ۔
رَگہِ ووٗد ۔ ۱۔ یَس بگُر ہوٚٹ آسہٕ ۔ ۲۔ (وَرگہٕ
پاٹھی) ۔ منگہٕ تزٕ گُر ۔ یَس نہٕ کانٛسہِ ہُنٛد شرٕ ییٚہ ۔
رَگہِ کھسنہٕ ۔ (شرارتہٕ بیترِ ستی) بُتھِ چھِہ رَگہٕ تام
بوزنہٕ ییٚنہٕ ۔ سَخ شرار تھ کھسُن ۔
رَگہِ کھیٚنہٕ ۔ (وَرگہٕ) چیٖچھی ژھٕنتھ کانٛسہِ ہٕس زٕل
دِیُن ۔ ہوٚٹ رٹُن ۔
رَگہٕ مکہٕ ۔ رَگہٕ بیترِ ۔ ہَتہٕ چھِہ رَگہٕ تہٕ نار ۔ ہرِ وول ۔
رَگہِ مُژرٕنہٕ یینہٕ ۔ لوسہٕ آسنہٕ کنۍ کانٛسہِ ہنٛدِ موکھ ۔
جوش ہیٚوٕ یُن ۔ سَخ لول یُن سرٕ ییٚہہ پھیرُن ۔
رَگ پھٹٕنۍ (بلڈ پرٛیشر موکھ) کلچ رَگ پھٹنہٕ ستی
نَستہٕ کنۍ خوٗن یُن ۔ ییٚہ چھنے اَکھ بیمٲرۍ ۔ ہیمرتج ۔
رَگ کَڈٕنۍ ۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ۔ ووٚرِلش کَڈٕنۍ ۔ وَرزُن ۔
توصب ورتاوُن ۔ فایدٕ وِزٕ پٔنٕنۍ اَلگ کَڈٕنۍ ۔
صِرف پنٕنہِ فایدٕ واتناوُن ۔
رَگ مَرٕنۍ ۔ ژٕ کٕنٛج خبر بوٗزِتھ روٗتہٕ ہیٚو گڑھُن ۔ مَطلیٚچ
کُتھ بوزٕنۍ ۔ ۲۔ رِشتہٕ داٚرِ ہُنٛد ژُک موٗحسوس
سپدُن ۔
رَگ مُژرٕنۍ ۔ نشتر بیترِ دِتھ رَگہِ اَنٛدرٕ خوٗنِ کَڈُن ۔
رَگ نیرٕنۍ ۔ ۱۔ کُنہِ قسمہٕ چھِہ کانہِ ہُنٛد پے لَگُن ۔ کان

نیرٕنۍ ۔ دوٗرِ رِشتہٕ دٲرۍ نٔنۍ ۔۲۔ تِژہ کانٛہہ
أشناوی نیرٕنۍ یتھ اَنٛدر رنہٕ نیٛتھر دِتھ ہیتھ ہیکہِ ز ۔

رَگ وۄٲژنۍ ۔۱۔ (وَرگہٕ) سخ شرارتھ کھسُن ۔ جانہٕ
مَنٛس پیٛٹھ واتُن ۔۲۔ کانٛسہ ہیٛنٛدِ دادِتُر ووتھُن ۔

رَگرٕ ۔م۔ مۄل: رَگرٕ < مُ۔ہ: رگڑ ]۔ گٔکھر ۔ گٕہن ۔

رَگاڑٕ ۔ مۄل: رگاڑ < س: پڑٕ + گھرٕ بشکہٕ ۔مُ:ہ :
رگڑی ]۔ گُشدِ گر ۔ پزنہٕ پیٛٹھی کاکِ ۔ یئنہ ہَنہٕ تہٕ
ڈٲلن وول ۔ چھپر لاگن وول ۔ گٔکھری ۔

رَگزال ۔ مۄل: رَگزال < مُ: ف: رَگ جالی ]۔ شرارتی ۔
ہَرزِ گر ۔ بَد خاہ ۔ بَد باطِن ۔ رٔذیلہٕ

رَل ۔م۔ مۄل: رَل < مُ:ہ: رلنا ] گُنہٕ قٕسمٕچ آلایش ۔
مِلاوٕتھ ۔ م: سۄنٕس چھےٚ سَرتلہٕ ہٕنز رَل ۔

رَلہٕ ۔ مۄل: رَل < مُ:ہ: رلنا ]۔ مِلہٕ مِش ۔ یکہٕ وَٹہٕ
مِلنأوِتھ ۔ واریاہن گُنےٚ کٔرتھ گُنی گٔیڈ کٔرِتھ ۔

رَلہٕ مِلہٕ ۔۱۔ مِلہٕ مِش ۔ واریاہہٕ قٕسمکۍ چیٖز یِم یکہٕ وَٹہٕ
مِلناونہٕ آمتۍ آسن ۔ یِمن گُنےٚ کرنہٕ آمٕت آسہٕ ۔
۲۔ یکہٕ وَٹہٕ میلِتھ کانٛہہ کام بیترٕ اَنٛد واتناوٕنۍ ۔ اَکھ
أکِس سٕتۍ رٔلِتھ ۔ یکہٕ وَٹہٕ ۔۳۔ اَکہٕ ہوکھ
پھلُک ناو یتھ اَنٛدر رچنہٕ ، شرٕنۍ تہٕ مونگہٕ پھٔلۍ
بیترٕ رَلاونہٕ چھِ یِوان ۔ چنہٕ چٕپل ۔

رَلُن ۔ن۔ مۄل: رَل < مُ:ہ: رلنا ]۔۱۔ گُنہٕ یا کانٛسہٕ سٕتۍ
ہشرٕ یُن ۔ برابٔری ینٛز ۔ واروبستار یُن ۔۲۔ شامِل
سپدُن ۔۳۔ میلُن گیلُن ۔ ۴۔ موزوٗن آسُن ۔
مۄشہِیل آسُن ۔ پزٕوٗن آسُن ۔

رَلہٕ وُن ۔۱۔ (گُنہٕ یا کانٛسہٕ سٕتۍ) میلہٕ وُن گیلہٕ وُن ۔
۲۔ موزوٗن ۔ پزٕوٗن ۔۳۔ یُس سٕتۍ واروبستار بیہہٕ ۔
رٔلِتھ میلِتھ ۔ یکہٕ وَٹہٕ سۭمِتھ ۔

رَم۱ (گرُن) ۔ن۔ مۄل: رَم : < س: رَمب ]۔ (گُری
سُنٛد یکدَم رۄزِتھ گژھُن تہٕ سوار یا بور بیترٕ دأرِتھ دِنہٕ
خأطرٕ پتھ بژٕنتھ گرُن یا ووٹہٕ ٹلنہٕ ۔ ہوڈ گرٕنۍ ۔

رَم۲ (رَمب گرُن) (نیٛو رِ نہٕ باپتھ پھٔلۍ ہنٛدی) تیر
سوٚمبرٕنۍ ۔

رَم۳ ۔م۔ مۄل: رَم < انگ: رَم ۔ Rum ]۔ اکہٕ شراُبک
ناو ۔ گورس بنووُمٕت شراب ۔

رَمَل ۔ن۔ مۄل: رَمَل < ع: رَمال ۔ رَمل ]۔۱۔ اَکہٕ
علمُک ناو یمہٕ سٕتۍ غاب چہِ گتھ کڈنہٕ یِوان
چھےٚ ۔ علمہِ غاب ۔۲۔ شأیرۍ اَنٛدر راکھ بحر ۔

رَملی ۔ (ہزلہٕ) علمہِ رَمل زانَن وول ۔

رِمز ۔ن۔ مۄل: رَمز < ع: رَمز ]۔ اِشارٕ ۔

رَمب ۔م۔ مۄل: رَمب < س: رَمبہٕ ]۔ جب ۔

رَمبہٕ۱ ۔ن۔ مۄل: رَمب < پراکرِت: رَمپ ]۔ وچھو
"رُمبی" تہٕ ۔ درمُن بیترٕ زٕلنہٕ باپتھ اَکھ تھپہٕ دار
آلہٕ ۔ اکہٕ قٕسمُک کھرٕ وپہ یمہٕ چھُ گرٕنۍ ہیوٗ آسان ۔

رَمبہٕ۲ (گرُن) ۔۱۔ سوچُن ۔ یرادٕ گرُن ۔۲۔ زِٹھی سُنٛد
وایہٕ گرُن ۔ ہراسہٕ بوزُن ۔

رَمبُن ۔ن۔ مۄل: رَمب < س: رَمبہٕ ]۔ شوٗبُن ۔ شکل

ہِش نیرِنۍ۔

رَمبہٕ رێنٛز۔شوٗبہٕ وٕنۍ۔یُس جان شٕکل تہٕ ووتھن بہن آسہِ۔

رَمبہٕ ناوُن۔شوٗب اَنٛز۔شٕکل اَنٛز۔

رَمبہٕ وُن۔شوٗبہٕ وُن۔شوٗبہٕ دار۔

رَمضان۔ن۔موٗل: رَمضان<ع: رَمضان]۔۱۔ہجری سنہٕ حِسابہٕ ڈرۍ یک نوٚیم ربتھ۔۲۔روزداری ہُنٛد ربتھ۔ماہِ صیام۔۳۔مُسلمانَن ہُنٛد اَکھ ناو۔

رَمضان نمأزۍ۔(ہزلہِ) یُس ماہِ رَمضانَس منٛزے یوت نماز پَران آسہِ۔

رَنُن۔ن۔موٗل: رَن<رَندھنہٕ]۔کھێن بیترِ اوٚگنس پٮ۪ٹھ تیار کرُن۔بتہٕ سێنۍ تیار کرُن۔پاکہٕ وُن۔

رَنہٕ پھو۔(ل۔م) رَنُن تہٕ پھوٚن۔ساپٕز ووسہٕ دروسہٕ۔سال سَب۔ٹۄڈ دوہ۔

رَنٛگیلی۔رَنٛگہٕ وٕنۍ۔شوٗبہٕ وٕنۍ۔

رَنٛگیلی مَس۔کأنٛگنہٕ مَس۔

رَنٛج۔ن۔موٗل: رَنٛج<: رَنٛج]۔۱۔دوکھ۔غم۔تکلیف۔ ۲۔ییٚتھے ہیٚو۔مَلالہٕ۔

رَند۔ن۔موٗل: رَند (ہوٚت صدا]۔بنٛد لفظُک ہوٚت صَدا۔ م:بنٛد رَند۔

رَندِ کڈُن۔کھُری گی پٮ۪ٹھ ڈرراوُن۔گمہٕ کڈُن۔

رَندِ نیرُن۔کھُری گی پٮ۪ٹھ دَرُن۔

رَندا۔م۔موٗل: رَند<: رَد]۔چھلنہٕ سُنٛد اَکھ ہتھی یار یِمہٕ ستۍ سہٕ پھُہرِ یرِ تلنہٕ باپتھ لکرِ زلان چھُ۔

رَندٕ دِین۔۱۔رَندٕ ستۍ زلِتھ لکرِ پھُہرِ یرِ تلُن۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) کانٛہہ گتھ بیترِ پھری پھری وَنٕنۍ۔ووٗج ووٗج دِیُن۔گتھِ دَل دِیُن۔

رَندٕ کڈُن۔۱۔لکرِ رَندٕ ستۍ زلُنۍ۔۲۔پھَمب کٹُن۔ پھَمبَس ٹوٗڈۍ کڈٕنۍ۔

رَندٕ۲ رَند۔ن۔موٗل: رَند<س: رَد]۔۱۔دَجہِ تر۔ریٚنٛچہٕ۔ ۲۔زۄ وُٹھ زمینہٕ ٹکرِ۔

رَندٕ وائنٛز۔۱۔ترٕ والِنہٕ۔پکوَن ریٚنٛچہٕ کڈٕنہٕ۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) اَگادِ گرٕھُن۔تھَھ نہٕ ٹلنٛز۔

رَندُک۱۔ن۔موٗل: رندک }۱۔زٕ ہتھ والہِ پٹ۔ ۲۔پُشتھ۔

رَندُک۲۔ن۔موٗل: رَندک]۔۱۔پھر آرۍ۔دَرِیدرۍ آوارِ۔رَدولہٕ۔۲۔سَر پٮ۪ٹھ چالہِ اَکھ زوٗذاتھ یوسہٕ آبَس اَنٛدر آسان چھےٚ۔

رَندرن۔موٗل: رَند<س: رَند هر]۔زوٗد۔گوٚو۔ وُل۔م:بز ہمہٕ رَندر۔

رَنٛزٕتھ۔خاطر۔آود۔تأظیم (پُزھس بیترِ)۔

رَنٛزُن۔ن۔موٗل: رَنٛز<س: رَنٛجنہٕ]۔۱۔سیر گرٕھُن۔ ۲۔خاطرِ واتُن (پُزھس بیترِ) رَنٛزٕ وَنہٕ یُن۔مَنہٕ ناونہٕ یُن۔

رَنٛزٕ ناوُن۔۱۔پُزھس بیترِ خاطر کرُن۔واتُن۔ ۲۔مَنہٕ ناوُن۔

رَنٛزٕرُن۔ وُچھو ''رَنٛزٕناوُن۔''

رَنگ اِ۔ ن۔ مٕوٗل: رَنگ <س: رَنٛگہٕ/ف: رَنگ]۔

چیزن ہِنٛد رِنگ سُہ صفتہ یِیمہ سٟتۍ تہِنٛد چھوٚت، گُرُہُن تہٕ ووزُل بیترِ آسُن نَنہٕ۔ روغن۔ اُڈراُوِتھ یا ہوٚکھ رَنگ یُس کُنہِ مَتھنہٕ یِیہٕ۔

۲۔ روش۔ قٲیِدٕ۔ طٔریق۔ م: زمانُک رنگ۔

۳۔ چال۔ ڈھومب۔ م: کُنہِ رنگہٕ تہٕ موٗنُن نہٕ۔

۴۔ حالتھ۔ دَشا۔ گَتھ۔ م: اکہِ رنگہٕ بیاکھ رنگ۔ ۵۔ قِسم۔ م: رنگہٕ رنگہٕ نیامُژ۔ ۶۔ تاسہٕ پٔژن لَدَر رلہٕنٕٹ۔ پان چیری حُکم۔ ۷۔ شوٗب۔ ناٹچُن۔ نِکھار۔ م: ووٚنۍ کھوتُس رنگہٕ ہیوٚ۔

۸۔ روٗپ۔ شِکل۔

رَنگارنگ۔ رَنگہٕ رَنگہٕ۔ قِسمہٕ قِسمہٕ۔ واریاہہٕ قِسمہٕ۔ تنگہٕ بُزوار۔ واریاہَن رَنگَن ہٕنٛز ووٚنۍ ہوٚژادرِپٹ۔

رَنگہٕ پٕٹ۔ رَنگدار کیٛر وور یا اوکتاش ژادَر۔

۲۔ رَنگ دِتھ بَجہٕ تَختہٕ۔

رَنگہٕ تھر (وَرگہٕ) زَنانہٕ یَس شوخ رَنگو پلوناٗلی آسُن۔

رَنٛگر۔ رَنگریٚنۍ۔ یوسہِ پلو رَنگان آسہِ۔ رَنٛگری ہنٛز زَنانہِ۔ رَنٛگری باے۔

رَنگہٕ رَنگہٕ ۱۔ الگ الگ رَنگہٕ۔ اکہِ اکہِ رَنگہٕ۔ واریاہہٕ رَنگہٕ۔ قِسمہٕ قِسمہٕ۔ واریاہہٕ قِسمہٕ۔ ۲۔ کٲنٛیاہہٕ طٔریقہٕ۔

رَنٛگری کونٛڈ۔ بوٚڈ ٹھِل ہیُوٗ یتھ اَنٛدَر رَنٛگر پلَون بیترِ رَنگ چھُ دِوان۔

رَنٛگری کھُمب۔ بوٚڈ ٹھِل یتھ منٛز رَنٛگر رَنٛگدار آبس منٛز پلَوٕ کوٚوان چھُ۔

رَنٛگری وان۔ سوجاے یتہِ رَنٛگر پلَون رَنگ دِوان چھُ۔

رَنٛگری ووٗرُس۔ (وَرگہٕ) اَپزے تُرے۔ اَفواہ۔ شوٚوے

رَنگہٕ سیپر۔ پوٚختہ سیپر۔ ۲۔ روغنی سیپر۔ رَنٛگدار ٹال۔

رَنگہٕ قَلَم۔ کھو۔ بُرُش بیترِ یِیمہِ سٟتۍ رَنگ کَران چھِ۔ رَنگ ساز سُنٛد بُرُش۔

رَنگہٕ کَنۍ۔ کَنۍ یتھ پٔٹھ رَنگ گھان چھِ۔

رَنگہٕ کوٚٹھ۔ تُرپھَس اَنٛدرٕ رَنگہٕ پٔیوٗ سٟتۍ دِنہٕ آمُت کوٚٹھ۔

رَنگہٕ لُر۔ رَنگ کٔرتھ شوٗبہٕ دار لُر۔

رَنگہٕ مَز۔ اکہِ قِسمُک کاکَد۔

رَنگہٕ مندور۔ بوٚڈ مُحلہٕ خانہٕ یتھ رَنگ کٔرتھ آسہِ۔ بَڈ رنگدار لُر۔

رَنگہٕ میٖوٚ۔ اولَت۔ روٗج۔

رَنگہٕ وٕنۍ۔ رَنگہٕ چہٕ ہار۔ رَنٛگری ہٕنٛز موٗز وٚرۍ۔

رَنگہٕ وٲلۍ ہِنٛدی رَنگ۔ دَیہٕ ہِنٛدی وٕہہٕ۔ قودرتُک کار

رَنگہٕ یِنٛڈر۔ رَنٛگدار یِنٛڈر یتھ پٔٹھ پھَمب بیترِ کَتان چھِ۔

رَنٛگُر۔ یُس پلَون رَنگ دِوان آسہِ۔ م: رَنٛگر۔

رَنگ بَدلُن ۱۔ (وَرگہٕ) بَتھس لیٛدرٕ ریر پھیرُن۔ تژہُرُن۔ کھوژُن۔ زَنگہٕ نہٕ دَرنہِ۔ ۲۔ (وَرگہٕ) حال گوٚوھُن۔

رَنگ بۆرنٛگی ۔ واریاہہ رَنگہٕ ۔ قسمہٕ قسمہٕ ۔

رَنگ پکُن ۔ تُرپھس اَنٛدٕ ررٕ رنگُک پۆٹ ترٛاوُن ۔

رَنگ پھیرُن ۔ (وَرگہٕ) بُتھس رَنگ ہیٚو نیرُن ۔ خوش گژھُن ۔ شِکل ہش نیرٕنۍ ۔ شۆب ہش ییٚنۍ ۔

رَنگدار ۔ یتھ رَنگ دِتھ آسہِ ۔ یتھ رَنگ کۆرمُت آسہِ ۔ یہ رونٛگمت آسہِ ۔

رَنگ دِیُن ۔ پلَو بیتر رَنگُن ۔ رَنگہٕ وُن ۔

رَنگ ڈُلُن ۔ اکہِ رَنگہٕ بیاکھ رَنگ گژھُن ۔ بُتھس ژھٹھ پھیرٕنۍ ۔ مُرژھا پھیرٕنۍ ۔

رَنگ رٹُن ۔ ۱ ۔ رَنگ دِنہٕ یُن ۔ رَنگ ترٛن ۔ اکیُک رَنگ بیٚیس ترٛن ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پأٹھی) سوٚجبتھ لارٕنۍ ۔

رَنگ روغن ۔ وارنِش رلأوِتھ رَنگ یُس کُنہِ کرنہٕ یِوان چھُ ۔

رَنگریز ۔ رَنگُر ۔ یُس پلَون بیترِ رَنگ دِیہِ ۔

رَنگ ساز ۔ رَنگ کَرن وول ۔ یُس بُرشہٕ ستۍ رَنگ کرِ ۔ مکانن یا گاڈِین بیترِ رَنگ کَرن وول ۔

رَنگ کڈُن ۔ شِکل نیرٕنۍ ۔ شۆب ترٕٛنۍ ۔

رَنگ کھَسُن ۔ شۆب ترٕٛنۍ ۔

رَنگ کھارُن ۔ نأنٛپناوُن ۔ چمکھ انٛنۍ ۔

رَنگ لگُن ۔ ۱ ۔ جان پأٹھۍ رَنگ ترُن یا کھَسُن ۔ شۆب ییٚنۍ ۔ سجاوٹھ گژھٕنۍ ۔ ۳ ۔ ناو نیرُن ۔ نیک نامی گژھٕنۍ ۔ ۴ ۔ (ہزلہِ) مَنٛد چھاونہٕ یُن ۔

رَنگ نیرُن ۔ ۱ ۔ ٹھیکھ رَنگ کھَسُن ۔ (پلَوس بیترِ) رَنگ نبر ترٛاوُن ۔ ۲ ۔ چھٹُن ۔ رَنگ ڈُلُن ۔ رنٛگس نہٕ تیٚیہ روزٕنۍ ۔

رَنگ یُن ۔ ۱ ۔ (وَرگہٕ پأٹھی) بُتھس ووزجار پھیرُن ۔ صیحتھ گرُن ۔ نوبر ہیٚو باسُن ۔ شۆب ہش ییٚنۍ ۔ ۲ ۔ تُرپھ یُن ۔ جان تاس یُن ۔ تُرپھس اَنٛدٕ ر ثمہِ رنٛگلۍ پٹٛ ییٚنۍ یُس رَنگ کۆرمُت آسہِ ۔

رَنگ ۲ ۔ ن ۔ مۆل: رَنگ < س: رَنگہ ] ۔ ۱ ۔ پأٹھر ۔ ناٹک ۔ راس ۔ ۲ ۔ ووسہِ دژوسہِ ۔ خوشی ۔ گنٛدُن دروگن ۔ ۳ ۔ وَر ۔ نَخرٕ ۔ کجر ۔ ۴ ۔ بۆش ۔ تھُر ۔ کمام ۔ ۵ ۔ کتھہِ بیترِ کھاہِمژ تأثیتھ ۔

رنٛگس بے رٕنٛگی ۔ بنٛگہٕ ژٕر ۔ بے مزگی ۔

رَنگہٕ ٹوٗر ۔ نَخرٕل تہٕ وَرل اَنٛہرٕش کوٗر ۔

رَنگہٕ ٹیٚو نگ ۔ (وَرگہٕ) یاوٕ ۔

رَنگہٕ رِوُن ، رَنگہٕ ریوُن ۔ (وَرگہٕ پأٹھی) ۔ یاوٕ ۔ عأشہٕ موت ۔ بے غم ۔

رَنگہٕ ژہنٛگن ۔ (وَرگہٕ) عاشق مزاج ۔ یاوٕ ۔

رَنگہٕ مَنٛڈُل ۔ سو جاے یتیٚتھ ناٹک لاگنہٕ یِیہِ ۔ سیٹج ۔ راسہٕ منڈُل ۔ ۲ ۔ اکہِ ہار ۔

رَنگہٕ واوٕ ج ۔ (وَرگہٕ) یاوٕ زنانہٕ ۔ زنانہٕ یوسہٕ شیرتھ پأرتھ تہٕ گژِلیہٕ ماران پکان آسہِ ۔ نَخرٕل زنانہٕ ۔

رَنگہٕ وول ۔ ۱ ۔ تماشہِ گوٗر ۔ ۲ ۔ رَنگہٕ رَنگہٕ دِژ دارن وول ۔ تہٕ دُپتھ گوٗ خودا ۔ م: رَنگہٕ وأل ہندی رَنگ ۔

رَنگ گرٕنۍ ۔ ۱ ۔ پأٹھر چارُن ۔ ناٹک ہاوُن ۔ ناٹکس منٛز

حصہٕ ئُین ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) نُخرٕ گرٕنی ۔وَرگرٕنی ۔

رَنگ کھسُن ۔بوش کھسُن ۔

رَنگ کھارُن ۔۱۔(وَرگہٕ) کُتھِ تأنتھ کھارٕنی ۔وۄج وۄج دیُن ۔۲۔(وَرگہٕ) پھَل کھارٕنی ۔تھَر کھارٕنی ۔ کمام کھارُن ۔

رَنگ لگُن ۔پأتھر چارُن ۔۲۔ووسہٕ دژ وسہٕ لگُن ۔

رَنگ لاگُن ۔پأتھر چارُن ۔۲۔ووسہٕ دژ وسہٕ لاگُن ۔

رَنگتھ ۔مِ ۔مۄل: رَنگت <س: رَنگہ ]۔وُلٹہٕ مَطلب ۔ کُنہٕ بَدَل مانے یُس زورٕ تہٕ زأنتھ کڈنہٕ ییہِ ۔

رَنگتھ دِنی ۔کُتھِ بَدَل مانے ژارُن ۔نٔژ پھرٕنی ۔

رَنگہٕ ۔پُژھی ۔حقہٕ ۔موکھ ۔مِ :میانہٕ رَنگہٕ ۔

رَنگہٕ باد ۔چاروائن ہنٛز اَکھ بیمأری ۔

رَنگہٕ بُلبُل ۔ن ۔مۄل: رَنگہٕ بُلبُل ]۔۱۔اَکھ جاناوار ۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) یاوٕ ۔

رَنگہٕ راوُل ۔اَکِس جاناوارِ سُند ناو ۔مۄل: رَنگہٕ راول]۔

رنگہٕ رِچ ۔اَکھ دوالوٗٹی ۔ییہِ چھےٚ دژ وکہِ لگان ۔

رَنگہٕ رِچ ۔م ۔مۄل: رَنگہٕ رِچ]۔اَکھ دَوا بوٗٹی ۔ییہِ چھےٚ درو کہِ لگان ۔

رَنگہٕ ژٔر ۔م ۔مۄل: رَنگہٕ ژٔر]۔۱۔اَکِس جاناوارِ سُند ناو ۔ ۲۔(وَرگہٕ) ۔یاوٕ نُخرٕل ۔

رَنگہٕ وَل ۔ن ۔مۄل: رَنگہٕ وَل]۔اکہِ پوٗشک ناو ۔

رَنگُن ۔ن ۔مۄل: رَنگ <س: رَنگنہ ]۔۱۔رَنگ دیُن ۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) حأضِر باش لاگُن ۔کأنسہٕ خوشامَد کرنہٕ باپتھ اَکنہٕ تہٕ وَلنہٕ یُن ۔

رَنگُن گوٚو ۔اَپز خوشامَد کرَن وول ۔

رَنگیلہٕ ۔مۄل: رَنگیل <م:ہ: رَنگیلا] تیز ۔ژۄژُر ۔چالاکھ ۔ تبلنگہٕ ۔

رَنگروٗٹھ ۔ن ۔مۄل: رَنگروٗٹھ <انگ: ریکروٗٹ Recruit]۔ ۱۔حال حالے بُرتی کرنہٕ آمت سِپاہ (فوجس اَنٛدر) ۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) خام کار نوجوان ۔

رَوا۱۔ن ۔مۄل: رَو <س: رَوِ]۔سِرِی ییہِ ۔آفتاب ۔

رَو۲۔ن ۔مۄل: رَو <س: رَوَ]۔آواز ۔گژو ۔

رَوَق ۔ن ۔مۄل: رَوَق <ع: رَواق]۔کھوٗل تہٕ زنوٗٹھ کُٹھ یا ڈالانہٕ ۔

رَوَنٛد ۔ن ۔مۄل: رَوَنٛد <ف: رَوَنٛدہ]۔سُہ یُس پرٛتھ جایہِ ووتٕہ آسہِ گوٗھان ۔

رَوا۱۔<ف: رَوا]۔جأیز ۔ییہِ پزٕ ۔یتھ اجازتھ آسہِ ۔ییہِ چَلہِ ۔مُنأسِب ۔

رَوا تھوٗن ۔جأیز تھوُن ۔اِجازتھ تھوُن (یُہ پأٹھی تتھ ییہِ نہٕ پزٕ) ۔

رَوا۲۔ڈیرٕ یوسہٕ نہٕ پوٗرٕ پأٹھی کسنہٕ ییہِ ۔یتھ پوٗرٕ رِڈینجہِ آسن ۔

رَوادأری ۔اَکھأکِ سُند پاس ۔سأری ہوی وینٛدنی ۔

رَوادور ۔کأنسہٕ ناکارٕ کأم کرٕنس پتھ لور ۔شُرِس بیترٕ ژٔدر کرٕنس پتھ لور روزُن ۔

رَوادور تھوُن ۔ناکارٕ کأم کرٕنس پتھ تھنہٕ پرٕژھ گأرکرٕنی

رَوادورروزُن۔ ناکارٕ کأم کَرنس پتھ تہٕ پأش پأش کرُن۔

رَواں۔ ف: رَواں]۔ پکہٕ وُن ۔چلہٕ وُن۔ رُکتھ نہٕ۔ ٹھٔہرِتھ نہٕ۔

رَوانہٕ ۔ن۔مؤل: رَواں حف: رَوانہ]۔ دزٕ امُت ۔

رَوانہٕ سَپدُن ۔نیرُن۔ قدم ترٛاوُن۔

رَوانہٕ کرُن۔ سوزُن۔ سوز ناوُن۔

رَوانہٕ گژھُن ۔وچھو "روانہ سَپدُن"۔

رَوانگی ۔ا۔سوزُن۔ نیرُن ۔۲۔مال بیترِ سوزنُک چالان۔

رَوانگی ترٛاوٕنی ۔(مُلازِمہٕ سُند) کُن گوژھنُک اِندراج کرُن۔ پُلسہٕ محکمہٕ کِس مُلازِمہٕ سُند تھانہٕ بیترِ منٛز نیرُن روزنامچس منٛز داغوُن۔

رَوأنی ۔ا۔رُکنہٕ روٚس پکُن ترٛاے۔۲۔(پرٛنس، لیکھنس۔ بولنس بیترِ منٛز )رُوٚٹ نہٕ آسُن۔۳۔ژوٚترٛ ژوٚترٛ۔ (مانے یَس سَننہٕ روٚستے)۔ سَواد پران پران۔

رَوٕ ۔ن۔مؤل: رَو]۔ ژادرِ شُکھر ۔وَستھ بیرٕچ ژادرِ۔
مِ: رَوٕ توٕ تہٕ بأٹی ۔

روٕ پکو ۔ژادرِ شُکھر، ژادرِ ژٹ۔

رَوٕ ژٹ ۔وچھو "رَوٕ پکو۔"

رَوترٛاوُن ۔رَوانہٕ گوژھُن ۔کُنہٕ اَنٛدٕ نیرنہٕ باپتھ تیزی سان قدم تُلُن۔

رَہا۔مؤل:رع <؟ف:رہا]۔یلہٕ آزاد۔(سزا بیترِ نِش)۔ (عدالتن)سزاہہٕ تلہٕ ترٛ وومُت۔

رَہا کرُن ۔(یلہٕ)ترٛاوُن۔ آزاد کرُن۔ سزاہہٕ تلہٕ ترٛاوُن۔

رَہا گژھُن ۔سزاہہٕ تلہٕ موکلُن۔ آزاد گژھُن (فکرٕ و بیترِ نِشہٕ)

رَہأیی ۔رَہا گژھُن یا کرنہٕ یُن ۔

رَہبَر ۔مؤل: رَہبَر حف: رَہبَر]۔ وَتہٕ ہاوُک ۔وَتھ ہاوَن وول۔ رَہنُما۔

رَہبَرِ کأمِل ۔ا۔ یُس پوٚرِ پأٹھی وَتھ ہیکہٕ ہأوِتھ۔ پوٚز وَتہٕ ہاوُک۔ یَس سیٚز وَتھ ہاوَنس منٛز کمال آسہٕ۔ ۲۔حضرتِ محمدؐ صأبُن اَکھ لقب۔

رَہبَری ۔وَتھ ہاوٕنی ۔رَہنُمأیی۔

رَہبَری کرٕنی ۔وَتھ ہاوٕنی ۔رَہنُمأیی کرٕنی۔

رَہدار ۔ا۔ گُرِ سُند پکہٕ نُک اَکھ تیز اَنداز یتھ نہٕ ہٕٹھ آسان چھےٚ ۔۲۔رَہدار قدمہٕ پکن وول (گُر)

رَہدار پکُن ۔ا۔ ڈلکہٕ پکُن (گُرِس بیترِ سُند)۔ ۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) رُکنہٕ وَرأے تیز تیز پکُن۔ ژھیٚ پکُن۔

رَہدار گُرِس چھہٕ پَنٕنی کوٚٹھی پھُٹان ۔تہٕ دُپتھ گوٚیُس شخص کأم کرنس منٛز وُژھ کرِتس چھےٚ تیژ کأم مَٹہٕ کھسان زِ اَخرس چھس نہٕ توٚژ ھے روزان۔

رَہدأری ۔م۔مؤل: رَہداری حف: رَہداری]ا۔روٚہنہٕ پرٛمٹھ ۔سہٕ اِجازتھ نامہٕ یُس کُنہٕ وَتہٕ کُنہٕ مال بیترِ سارنہٕ موکھ کڈنہٕ یوان چھُ ۔۲۔پاسپورٹ۔

سٕہ اِجازَتھ نامہٕ یُس پَنٕہ مُلکُک بَنٕہٕ تژٕ اوٚنہٕ تہٕ بیٚیِس مُلکَس مَنٛز اَژنٕہٕ باپَتھ حکومتہٕ کہٕ طرفہٕ دِنہٕ یوان چھُ۔

رَہزَن۔مؤل: رَہزَن <ف: رَہزَن]۔ا۔یُس وَتہٕ پکٕہ وِنٕہن لوٗٹہٕ۔لوٗٹُر۔ڈاکوٗ۔۲۔بَدماش۔لَفنٛگہٕ۔لُچہٕ۔

رَہ گُذَر۔وَتھ۔یَأرٕ لوٗکھ پکان آسَن۔یِنہٕ گژھنٕچ وَتھ۔

رَہنہٕ،رَہَن۔مؤل: رَہن <ع: رَہَن] گِرَوبَنٛد۔

رَہنہٕ تھَوٗن۔گِرِوتھَوٗن۔بَنٛد تھَوٗن۔

رَہنُما۔مؤل: رہنُما <ف: رہنُما]۔وَتہٕ ہاوُک۔

رَہنُمأیی۔<ف: رَہنمایی]۔وَتھ ہاوُنۍ۔رَہبری۔

رَے ۱۔ن۔مؤل: رَے]۔اوہَر۔انٛدازٕ۔مأتھر۔

رَے کَڈُن۔اوہَر کَڈُن۔مأتھر کَڈٕنۍ۔

رَے نیرُن۔(وَرگہٕ)(مُنٛتھ یا ہیتھ) سبٕتھاوَتھ یُن

رَے ۲۔ن۔مؤل: رَے]۔اَکھ بِمأرۍ یوسہٕ سرٕ مَنٛز یِتھٕ پأٹھۍ دانَس تہٕ سَبزی ہیتَر لگان چھےٚ۔امہٕ سٟتۍ چھُ فَصلُک ڈکھ کاوران تہٕ اَتھ چھےٚ کانٛجہٕ گژھان۔

رَیہٕ لَد۔یَتھ رَے گژھنہٕ کنۍ ہُٹ آسہٕ گأمِژ۔ہَریوٗمُت۔چھٕنتھ پیوٗمُت۔

رَے گژھُن۔کاژُن۔

رٕیے کَرُن۔ا۔زورٕ خراب کَرُن۔زورٕ نہٕ بوٗن کَرُن۔فَصل ڈٕتھ کَرِتھ نہٕ تَتھ واتُن۔۲۔بےٚ پَرداخت آسنہٕ موکھہٕ نہٕ واش کَڈُن (شُر ہیتَر)۔

رٕیے گژھُن۔وٕچھورَے گژھُن۔"

رٕیے گومُت۔ا۔یَتھ رَے بِمأرۍ لٕجمٕژ آسہٕ۔ چھٕنیوٗمُت۔ہَریوٗمُت۔

رَعیَتھ۔مؤل: رَعیَت <ع: رعیة]۔ا۔پرٛزا۔لوٗکھ، یِمَن پٮ۪ٹھ پادشاہ حکوٗمتھ کَران چھُ۔۲(وَرگہٕ پأٹھۍ) نوکر۔ غولام۔

رَیحان۔ن۔مول: ریحان <ع: ریحان]۔پَر۔اَکھ مُشکدار بوٗٹۍ۔

راب۔م۔مؤل: راب <پرٛاکرِت: رَب با:مٕ:ہ: راب]۔اَکہٕ قِسمُک گورٕ یُس تمأکَس ہیتَر سٟتۍ رَلاوَنہٕ یوان چھُ۔

رابر۔م۔مؤل: رابر <مٕ:ہ: رابڑی <پرٛاکرِت: رَب با]۔ سبٕتھاموٗٹر ووٚمُت دود۔

راتہٕ کرٕٹھل،راتہٕ کرٕژل۔ا۔اَکھ نٮ۪ک جاناوار یُس دوہَس ژٕرٕ چھُ روزان تہٕ راتَس گتھ چھُ دِوان۔وَنان چھِ زِ اَمِس چھنہٕ دوہلہٕ بوزنہٕ یوان۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) یُس راتَس پھیران آسہٕ تہٕ دوہلہٕ آسہٕ تھَکھ کڈان۔راتَس ہُشار روزَن وول۔

راتہٕ موغُل۔پأٹُر بُتھ کَرِتھ گانٛٹہٕ ہِنٛدِس رَنگَس پٮ۪ٹھ اَکھ جاناوار یُس دوہلہٕ بوزنہٕ یوان چھنہٕ۔

راتہٕ موغُل نَم۔راتہٕ موغلہٕ سٕنٛد نَم یُس بلایو نِشہٕ بچنہٕ خأطرٕ شُربن نالۍ تژٕ اوان چھِ۔

راتہٕ موٚنٛچ۔ڈورٕ کأنۍ۔

راتھ۔م۔موٗل: رات <س: راتڑ ]۔۱۔ہِری لوسنہٕ پتہٕ ہِری گھسنَس تام وَق۔اَنہِ گٹہٕ ہُند وَق۔
۲۔ہِو۔کالہٕ۔
راتَس پیٹھ۔راتھ ہِندِ باپَتھ۔مِ: راتَس پیٹھ کانٛسہِ نِشہِ گوٚھُن۔
راتَس دوٚہَس۔اَتھونٛی پہرَن۔اَن تھَکھ پاٹھی۔پیاپے۔
راتَس وۄنۍ لال نلمہِ۔صُبحَس دۄتھم لال کیٚا واتہِ محلوٗنَس۔ستہِ دۄہتھ گو فکرِ تارٕ تارِ نہٕ فِکرِ ترٛن۔
راتہِ اَچھ۔راتَس نظرِ گژھاوَن وول۔روت چھُکر در۔
راتہِ روچھ۔یُس راتَس اَچھ پیٹھ لاگِنہٕ ییہِ۔
راتگ۔۱۔کالُک۔بی۔۲۔زیادِ وانٛسہِ نہٕ۔لوکٕٹ تہٕ لوو۔سنہ زاو۔یوٗک۔مِ: راتگ شُر۔
راتو راتھ۔اکی سے راتَس اَندر۔راتی نہٕ مِنزی۔اَنہِ گٹہٕ مِنزے۔
راتھ بَرٕنۍ۔راتَس روزُن۔راتھ کڑٕنۍ۔سفرَس اَندر کُنہِ جایہِ راتَس روزُن۔
راتھ پیٹھ پینٛۍ۔مصیبتھ راتھ زٕ تھٕنۍ۔غیٚندر نہٕ ییہِ کنٛہ راتھ پنٛدی نیرٕنۍ۔
راتھ دوہ۔۱۔اکہِ صبح پیٹھ بییس صُبحَس تام۔اَٹھ پہر۔
۲۔ہرٕتھ وِزِ تھکہِ روس،مِ: راتھ دوہ جِھس گران زارِی۔
راتھ دبن۔وِچھو "راتھ دوہ"۔
راتھ ڈاکی گژھٕنۍ۔راتی راتَس کُنہِ کامہِ یا حادثہٕ کنٛی وُنیو دُر گژھُن۔
راتھ راوٕنۍ۔راتھ ضایہِ گژھٕنۍ۔راتَس دربدر گژھُن۔کُنہِ کامہِ باپتھ راتَس ژیر تام بہُن پیوٚن۔
راتھ کڑٕنۍ۔کُنہِ کنٛہ صُبحَس تام پرٛارُن۔مُشکلہٕ سان راتھ گُذارٕنۍ۔
راتھ کیٚت۔روتلہِ۔ہِری لوسنہٕ پتہٕ۔روت وَقتَس۔دوہلہٕ نہٕ۔
راتھ گژھٕنۍ۔(وَرگہٕ) (شامہٕ پتہٕ) ژیر لگُن۔
راتھ لگٕنۍ۔(وَرگہٕ) واریاہ وَق لگُن (کُنہِ کامہِ پتھ)۔واریاہ ژیر تام کُنہِ کامہِ بہُن پیوٚن۔کُنہِ جایہِ راتَس روزُن پیوٚن۔
راتی راتَس۔سارِی سے راتَس۔
راتی راتھ۔دژَس راتھ۔سالِم راتھ۔
راتی لہِ مِنزی۔اکی سے راتَس اَندر۔راتھ کیٚتے۔وِچھان وِچھان۔مِ: راتی لہِ مِنزی بنوٚو سہٕ لکھ پتی۔
راتی نہٕ۔روتلہِ۔راتھ کیٚت۔
راتی نہٕ مِنزی۔اکی سے راتھ اَندر۔کالہِ پگاہ۔وِچھان وِچھان۔
راتژکٹر۔۱۔اکھ جاناوار یُس راتَس پھیران چھُ۔
۲۔(وَرگہٕ پاٹھی) سہٕ شخص یُس دوہَس لیوٚژ آسہِ مگر راتی راتَس آسہِ کام گران۔
روت انبر۔راتھ کیٚت بوزنہٕ نہٕ ییٚنہ بیمارِی۔
روت اوٚن۔یُس راتھ کیٚت بوزنہٕ آسہِ نہٕ ہوان۔

اَنہِ گٔژس مَنٛز یٖمِس اَتھِ پیہِ نہٕ۔
روت بَل۔ راتَس کٲم کَرِنٕچ ہیکَتھ۔
روت پلَو۔ سُہ پوشاکھ یُس شونٛگَن وَقتہٕ نٲلِ لاگان چھِ۔ نَیِٹ سوٗٹ۔
روت پوٚو۔ راتھ کیٚنٛہہ کامہِ اَتھ وَتھ یاوار۔
روت پٔچھن۔ ا۔ سُہ یُس ژ یرتام پھیرنٕچ مانٛد آسہِ۔
۲۔ یُس ژٔری پٲٹھی روتلی کٲم آسہِ گران۔
روت عَرفہٕ۔ عیٖز ہُنٛد پتاہ راتھ کیٚنٛہہ لگنہٕ کِنٛز راتھے عَرفہٕ بَنٛز۔
روت گلپُش۔ راتھ کیٚنٛہہ ووڈِ دِنہٕ باپَتھ اَلگ گلپُش۔
روت کانٛگر۔ نارِ کانٛگر یوسہٕ راتَس پوشہٕ۔
روت کھوٗب۔ پھتی لہٕ دار ٹوٗپی یوسہٕ بزٕنہٕ کالہِ راتَس ووڈِ دِوان اَسی۔
روت گٹہٕ۔ ا۔ ٹیٚٹھے اَنہٕ گوٗٹ یتھ راتَس آسان چھُ۔ کیٚنٛہہ تہٕ بوزنہٕ نہٕ ییٚنٛچ حالتھ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھی) دوہلہٕ اَتھ وَتھ نہٕ پینہٕ کِنٛز یا کٲم زیٛٹھنہٕ کِنٛز راتَس پٹھ کٲم روزٕنی۔
روت لِکَن۔ راتھ کیٚنٛہہ نیٚتھر کرنک ساتھ یا پچھر۔
روت مِلٲپکھ۔ سُہ یُس ژ یرتام پھیران آسہِ۔
روت موگُل۔ روت پٔچھن۔
روت ہم۔ ہوَن ہیٚتر یُس راتھ کیٚنٛہہ گرنہٕ پیہِ۔
راٹھ۔ م۔ مؤل: راٹھ]۔ سوتھُر یا گَج یوسہٕ ڈِچھن پٹھ پھبان چھےٚ۔
راج۔ ن۔ مؤل: راج <س: راجیہ ]۔ ا۔ پادشاہی۔
۲۔ دورِ دورِ۔ روبہٕ داب۔ چلنی۔ ۳۔ (وَرگہٕ پٲٹھی) عاَش تہٕ آرام۔
راج تاج کرُن۔ ا۔ حٔکومَتھ (کرٕنی)۔
۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھی) آسنَس لٲیکھ کھوٗل کرُن۔
راج کرُن۔ حٔکومَتھ کرٕنی۔
راجہِ۔ ن۔ مؤل: راج <س: راجا]۔ ا۔ راز۔ پادشا۔
۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھی) بےٚ غم۔ یَس نہٕ کٲنٛہہ فِکرٕ آسہِ۔ عاَشہِ موٚت۔ یَس سورُے مُہیا آسہِ۔
راجہِ رینٛز۔ ا۔ رأنی۔ رازِ بایے۔ ۲۔ (وَرگہٕ پٲٹھی) آسَن واجیٚنٛز۔ یَس بوٚڈ قٔبیلہٕ کرٕون آسہِ۔
راجہِ سَبا۔ م۔ مؤل: راجہِ سَبا <س: راجہِ سَبا: راجہ + سبھا]۔ پارلِمینٹُک ہیٛر یم اَیوان۔ پارلِمینٹُک سُہ اَیوان یتھ مَنٛز ژٔری پٲٹھی ریاستَن ہٕنٛدی نُمایٚنٛدٕ چھِ۔
راجُتھ۔ رازِ سی۔ پادشاہی۔ راج۔
راجپوٗت۔ ہِندوستانَس مَنٛز اَکھ قٔبیلہٕ۔ اَکھ ذاتھ۔
راج کُمار (رازِ کمار)۔ پادشاہ زادٕ۔ پادشاہ سُنٛد نیٚچُو۔
راج گُروٗ۔ مُلکُک سارِوُے کھوتہٕ بوٚڈ گور۔ رازِ سُنٛد گور۔
راحَتھ۔ ن۔ مؤل: راحت <ع: راحۃ]۔ سوکھ۔ آرام۔ قرار۔ خوٗشی۔
راحتِ جان۔ دِلُک سوکھ۔ مَنٛچ شانٛتی۔
راد۔ ن۔ مؤل: راد]۔ ا۔ پلوٗک ہیٚتر زچِھر۔ مُنپناہ۔

۲۔ پھبر نچ زیٚچھر تۂ اۄمرٕ کھٕچ کیٚر چھل یوٚسہٕ ہوٗنٛس ستۍ واتان چھِہ۔ ۳۔ وَگوٗ یا پتٕچ یتھ کھٕچر گم تہٕ زیٚچھر کانٛہ آسہِ۔ ۴۔ آبُس اَنٛدر پیٚچن پیٹھ وَہراونہٕ آمتۍ ڈوٗرۍ یمن پیٹھ ڈل ہانٛزو سبزی بیترِ ووپداوان چھِہ۔ ۵۔ ناگہٕ آبک سُہ حصہٕ یُس زیٚٹھ آسہِ گنٛڈنہٕ آسہِ آمت ۶۔ ڈلیلہِ منٛز ڈلیل یتھ سِہ کانٛہہ رَبط آسہِ۔ ۷۔ پٔنِنۍ بوٚہدوٗرۍ ٹھکِنۍ۔ پٔنہِ بوٚہدوٗرۍ ہنٛدۍ دَم دِنۍ۔ ۸۔ (وَرگہٕ) اَپُز۔ ٹرٕ۔ کھر۔

راءِ پٹ۔ پھبرَن بیترِ چ بۄنٛٹھم یا پتٕم زیٚٹھ کیٚر چھل یوٚسہٕ ہوٗنٛس ستۍ واتان چھِہ۔

راءِ راد۔ (پلکو یا ژادرٕ بیترِ) کھورٕ شیر۔

راءِ زیٚٹھن تہٕ ہوٗنٛز ژھوٹُن۔ (وَرگہٕ) کُنہِ اَنٛدٕ سہٕ برابری ہنٛز۔ کُن سہٕ واتُن۔

راءِ وَگوٗ۔ زبہٕ ہُنٛد وونہٕ آمُت سُہ وَتھرُن یتھ کھٕچر گم تہٕ زیٚچھر زیاد چھُ آسان۔

راددیٚن۔ (زیٚوٹھ) ڈاپھ ترٛاوُن۔ لمباسہٕ دیٚن۔

رادوٕتۍ۔ ٹرٕوتۍ۔ اَپُز وَنُن۔ کھر لاینۍ۔

رادا۔ رادھا۔ مۄل: رادا < س: رادھا]۔ بگوان کرشنہٕ سٕنٛز مشہوٗر گوٗپی ہُنٛد ناو۔

رادا کرشن (رادھا کرشن)۔ بگوان کرشن سُنٛد اَکھ ناو۔

راڈ۔ م۔ مۄل: راڈ < اِنگ: راڈ۔ Rod]۔ ۱۔ زیٚوٹھ سیٖخ۔ ۲۔ ڈنٛڈ شکلہِ سفید بجلی بتۍ۔

راڈار۔ ن۔ مۄل: راڈار < اِنگ: راڈَر۔ Radar]۔ سُہ خاص مشینی نظام یِیمہِ کہِ ذریعہ اَکھ خاص پرٛدَس پیٹھ ہوٲئی جہازَن بیترِ ہنٛز ژھاے لبنہٕ یوان چھے۔

راز۔ م۔ مۄل: راز < ف: راز]۔ سر۔ اَنٛدرِم کتھ۔ سِرٕ کتھ۔

رازٕ باوَتھ۔ سِر باوُن۔ پَنُن سِر بیٚین باوُن۔

رازٕ نیاز۔ لولہٕ کتھ۔ موٚحبتٕچ کتھ۔ تِمہٕ کتھ یِمہٕ عاشق تہٕ ماشوق پانہٕ واَنۍ کران چھِہ۔

راز دار۔ ۱۔ پیٚود۔ یُس اَنٛدرِمہِ کتھِ ہُنٛد پے آسہِ۔ سِرُک واَقِف۔ سِر زانَن وول۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ژوٗرَن ہُنٛد پیٹھ دَر۔ یُس نِش ژوٗرَن ٹھکانہٕ آسہِ۔

راز دان۔ اَنٛدرِم کتھ زانَن وول۔ واَقِف۔

راز فاش کرُن۔ سِرَس نَنبر کرُن۔ اَنٛدرِم کتھ بازرٕ پیٚنۍ۔

رازٕ۔ ن۔ مۄل: راز < س: راجا]۔ ۱۔ راج کرَن وول۔ پادشاہ۔ ۲۔ آسَن بَسَن وول۔ ڈکہٕ بوٚڈ۔ اَمیر۔

رازٕ باے۔ (وَرگہٕ) آسَن بَسَن واجیٚنۍ رٕژِ تہٕ شوٗبہٕ دار زنانہٕ۔

رازٕ دار۔ ۱۔ رازٕ سُنٛد گرٕ۔ بڈس موٚہیوٗ سُنٛد گرٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) ٹھکبَن لایق شوٗبہٕ دار گرٕ۔

رازٕ ریوٗش۔ ۱۔ بوٚڈ ریوٗش۔ ۲۔ سُہ رازٕ یُس جان وَرتاوٕ تہٕ لوٗکَن سوچھ کرنہٕ موکھٕ ریوٗش گنٛزران آسَن۔

رازٕ سی۔ ۱۔ پادشاہتھ۔ حکوٗمتھ۔ شاہی۔ ۲۔ دَنہٕ

دیار۔آسُن بسُن۔
راز سُے ،راز سوٗ ے۔تاجپوٗشی ہُند بوٚڈ ہُم۔
راز کو مار۔شاہ زادٕ۔بادشاہ سُند نیچو۔راجکمار
راز کو ماٗر۔بادشاہ زاٗدی۔شہزاٗدی۔راجکماٗری
راز ماز۔(وَرگہ)اُمیرَن ہنٛز یانہٕ واٗنی رِش تہٕ ہُندر ریر۔
راز مول۔یَس شُری مُری بَجاتہٕ پایَر جا آسَن۔
راز بَل۔ن۔موٗل:راز بل <س:راجہ +بَلہٕ ]۔
آوٕرینٛی۔ہیٚند بن ہنٛز موردِ زانٛج جاے۔
راز گٹھ۔ا۔سہ گٹھ یُس آورینہٕ بَکَس پیٹھ ہٕکی چھُ دِنہٕ
یوان۔۲۔(وَرگہٕ پاٗٹھی)یُس رتہٕ چھپہٕ لگہٕ۔
راز مہا،راز ماہ۔م۔موٗل:راز مہا<س:راجہ ماشہ]۔
دالہِ ہُنٛد اَکھ قسم یُس واریاہہٕ رنٛگی چھُ آسان۔
راز ہمس۔ن۔موٗل:راز ہمس <س:راج ہمَہ ]۔
ا۔راز ہوٗنٛز۔۲۔خوش یوٗن۔نُندٕ بون۔شوٗبہٕ
وُن۔۳۔(تصوٗف)۔زیوٗ آتما۔روٗح۔
راز ہوٗنز۔ن۔موٗل:راز ہوٗنز <س:راج ہنس ]۔
ا۔اکہِ خاص قِسمُک شکیل اَنٛز۔۲۔(وَرگہٕ پاٗٹھی)
خوش یوٗن۔نُندٕ بون۔۳۔(تصوٗف) زیوٗ۔
آتما۔روٗح۔
رازِ یوگ۔اَکھ یوٗگ یتھ اَنٛدر ریٛژِ پاٗٹھی مَن زینہٕ نَس
پیٹھ زور دِنہٕ چھُ یِوان۔م:ہَٹھ یوٗگ۔
راز دان۔<س:راجانَگہ ]۔کاشُر بن ہنٛز اَکھ کرام۔
راس ا۔ن۔موٗل:راس <س:راسَہ ]۔آرَس منٛز
روٗزِتھ نژُنُک اَکھ خاص طرٕیقہ یتھ پاٗٹھی
کرشن تہٕ گوٗپیہ اَکھاٗ اَکِس ستی گِنٛدان اَسی۔
راسہٕ گٹھ۔آوارٕ۔دَربدٕری لَد۔
راسہٕ مَنٛڈُل۔ا۔راس گِنٛدنُک آرٕ۔۲۔راس لیلا
کرَن وٲلی۔
راس کھیلُن۔تتھے پاٗٹھی نژُن یتھ پاٗٹھی کرشن
گوٗپیَن ستی نژان اوس۔
راس گِنٛدُن۔وُچھو"راس کھیلُن"۔
راس لیلا۔کرشن جی سُنٛدی پاٗٹھی راس کھیلُن۔
راس۲۔ن۔موٗل:راس <پراکرت:رَسی ]۔لاگم۔
وَگ۔
راس ترٛاوٕنی۔ا۔لاگم ڈیٚج ترٛاوٕنی۔۲۔ڈیٚجر ترٛاوُن۔
حدٕ نیٚرٕ ژُن۔
راس ڈیٚج آسٕنی۔ا۔(ل۔م)لاگم ڈیٚج آسٕنی۔
۲۔بے گنٛڈ آسُن۔گنٛڈ پرٛنہٕ پیٚٹھی رَواتھوٗن۔
راس۳،راست ا۔<ف:راست ]۔ا۔سیٚود۔۲۔ٹھیکھ۔
جان۔۳۔پوٚز۔۴۔وَیہ وُن۔بَرادوٗن۔لوٗگ۔
راست گو۔پوٚزٕ یور۔
راس۴،راست ۲۔صوٗفیانہٕ موٗسیقی اَنٛدر اَکھ مقام۔
راس گوٗن۔صوٗفیانہٕ موٗسیقی منٛز مقامِ راست گوٗن۔
راش ا۔ن۔موٗل:راش <:راشِ]۔ا۔سہ رقم یتھ پیٹھ
تجارتھ کرنہٕ ییہ۔سَرمایہٕ۔۲۔خزانہٕ۔نوکر۔
۳۔اَمبار۔ڈیر۔

راش پڑاوُن ۔ سبٹھافائیدٕ تُلُن ۔ خزانہٕ اَتھٕ یُن ۔ کانٛہہ بٔڑکام سپدُنۍ ۔

راش لگُن ۔ ا۔ خزانہٕ اَتھٕ لگُن ۔ نوٚکر ہٕنٛز ۔ ۲۔ (وَرگہٕ) تیُتھ کینٛہہ بٔنُن یا لبُن تیٚچ نہٕ وومیدٕے آسہٕ ۔ تٕھتھ اَتھٕ تٕنۍ ۔

راش ۲ ۔ م ۔ موٗل : راش < س : راشہٕ ] ۔ جوتشس منٛز برُج ۔ سہٕ گرٕ یتھ منٛز کانٛہہ گرٛہہ یا پھیرٕ وُن تارُک آسہٕ ۔

رأش میٖل ۔ ا۔ دون ہِندِ بن ذاتکین ہنٛز راش میلنۍ ۔ دون کُنی راش آسٕنۍ ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) پانہٕ وأنۍ بَرابٔری ۔ ہشر ۔

راشن ۔ ن ۔ موٗل : راش < انگ : راشن Ration ] رَسَد ۔ راشن کاڈ ۔ بتہٕ بیٚترِ چیٖنٛڈی ۔

راشہ ا ۔ ن ۔ موٗل : راش < س : اپرشیا ] خارٕ ۔ کانہٕ تل ۔ اَزروٗن ۔

راشہٕ آسُن ۔ خارٕ خارٕ آسُن ۔ کانہٕ تل آسُن ۔ اَزروٗن آسُن ۔

راشہ پیوٚن ۔ خارٕ روزُن ۔ کانہٕ تل روزُن ۔

راشہٕ تُلُن ۔ وَناوُنی ستیٚ نیاے تُلُن ۔

راشہٕ روزُن ۔ کانہٕ تل روزُن ۔ خارٕ روزُن ۔ مشُن نہٕ ۔

راشہٕ ژُھٹُن ۔ خارٕ تھاوُن ۔

راشہٕ گنڈُن ۔ کانہٕ تل روزُن ۔ عداوتھ روزُن ۔

راشہٕ ۲ ، رعشہ ۔ ن ۔ موٗل : راش < ع : رعشہ ] ٹٕھنٛز ۔ ٹٕھ ۔ تھَرِ تھَرٕ ۔

راشہٕ اَژُن ، رعشہٕ اَژُن ۔ ٹٕھ اَژٕنۍ ۔

راکیٹ ۔ ن ۔ موٗل : راکیٹ < انگ : راکِٹ Rocket ]

ا۔ ہَواٗے ۔ اَکھ آتَش بأزی یوسہٕ ژٕھ دِنہٕ ستیٚ اَسمان کُن وُڈان چھےٚ ۔ یہ چھِ یژٕ پأٹھۍ زالنہٕ بژٕنٛھ بوتلہٕ منٛز تھوان ۔ ستار گولہٕ ۔ ۲۔ اَکھ سائنسی آلہٕ یتھ اَنٛدٕر آتَش گیر مادٕ بٔرِتھ یا گیس بیٚترِ ژٕھ دِتھ لٕگہٕ کٔنۍ نیران چھُ تہٕ یمہٕ کہِ زورٕ ستیٚ سہٕ سبٹھا تیز وُڈتھ ہبکان چھُ ۔ شُنٛیس اَنٛدٕر روٗڈن وول اَکہٕ قسمُک جہاز

راکھِیُس ۔ ن ۔ موٗل : راکھِیُس < س : راکشٔ ] ا۔ اَسُر ۔ دیوٕ جنہٕ ذأژ چالہٕ اَکھ زٕو ذاتھ ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھۍ) ظألم ۔ بَد ۔ آتہٕ تأے ۔ سیہٕ ژٕل ۔ کوٚپھٕچل ۔

راکھینٛز ۔ وُچھو راکھِیُس ۔

راکھبس وَاسنا ۔ بَدخصلتھ ۔ راکھبس پزٕ گرٛشھ ۔

راکھسینۍ ۔ ڈأن ہش ۔

راگ ا ۔ ن ۔ موٗل : راگ < س : راگہ ] ا۔ وَسہٕ آسُن ۔ لول ۔ ۲۔ لوٗب ۔ طمع ۔ طماہہٕ دُنۍ یا ۔ کُنہٕ چیزٕچ سخ خأہش ۔

راگ گرٛھُن ۔ لے گرٛھنۍ ۔ ماے پھیرٕنۍ ۔

راگ ۲ ۔ م ۔ موٗل : راگ ] ۔ ا۔ گرِس بیٚترِ سُند تھُر کوٚنٛڈ ۔ ۲۔ مُدرو ۔

راگ ۳ ۔ م ۔ موٗل : راگ < س : راگہ ] ۔ گیوٚن ۔ لَہر ۔ گوٚنچ لَے ۔

راگ ترٛاوٕنۍ ۔ا۔ گبون لَہر ترٛاوٕنۍ ۔۲۔(ہزلہٕ پأٹھۍ) زٕہتھ وَدَن باکھ ترٛاوٕنۍ ۔

راگ رَنٛگ ۔کھیل تماشہٕ ۔عأش۔

راگو (راگھو) ۔ن ۔مؤل: راگو <س: راگھو ]رام چنٛدر جی سُنٛد اَکھ ناو۔

رام /رام ژنٛدٕر ۔ن ۔مؤل: رام <س: رامہ چندر] ۔ ہِنٛدبن ہُنٛد اَکھ اوتار ییٚمۍ لنکا زِنٛز تہٕ راوٕنس شِکَس دیُت ۔

رام اوتار ۔رام جی ۔رام ژنٛدٕر۔

رام ئدٕر ۔رام ژنٛدرٕ سُنٛد اَکھ ناو۔

رام۲۔ آٹٛز واٹٛز آمُت ۔ہوی ۔

رام سَپدُن ۔ہوی گژھُن ۔آٹٛز واٹٛز ئِن ۔تأبیا سَپدُن ۔

رام گرُن ۔ا۔ مأنۍ راوُن ۔۲۔ ہوی کرُن آٹٛز وأٹٛز اَنُن ۔۳۔ پأنس تأبیا تھاوُن ۔ییل اَنُن ۔

رام گژھُن ۔ہوی گژھُن ۔آٹٛز واٹٛز ئِن ۔ماٗنُن ۔

رامایَن ۔م ۔مؤل: رامایَن <س: رامایَنہ ] ۔اَکھ مُقدس کِتاب یُتھ اَنٛدَر رام ژنٛدرٕ سٕنٛدی حالاتھ بأتن مَنٛز چھ وَننہٕ آمٕتۍ ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) ۔بَناوَتھ ۔ حأری ثاتھ۔

رامایَن گرٕژھنۍ ۔بَناوتھ تٕنۍ ۔

رامہٕ راوَن ۔لأری کَنۍ اَکہٕ جایہٕ ہُنٛد ناویٚتہٕ پٕتھ ہرموکھ یاترا شروٗع چھےٚ گوٚھان۔

رامہٕ گاڈ ۔م ۔مؤل: رامہٕ گاڈ <س: رامہ+ گڈ ] ۔ا۔ اَکھ ناگہٕ گاڈ ۔اَمِس چھُ چونٛٹھ ووُزُل آسان۔

رامہٕ گرُن ۔ن ۔مؤل: رامہٕ گرن <س: رامہ +ک: گرُن] ۔اَکھ گرُن ذاتھ۔

رامہٕ گوٚڈ ۔ن ۔مؤل: رام گڑ <س: رامہ +گڈہ ] ۔اَکھ ژوٗڈ یُتھ وٕتھٕ گس ہٕتۍ پوٗزان چھِ۔

رامہٕ نوٗم ۔مؤل: رامہٕ نوم <س: رامہٕ نومی] ۔رام جی سُنٛد زایہٕ دوہ۔

رامہٕ ہوٗن ۔ن ۔مؤل: رامہٕ ہوٗن <س: رامہ شوٗنہ ] وَن ہوٗن ۔ہوٗنۍ ذأژ ہُنٛد اَکھ جنٛگلی جانوَر۔

رامُن راج ۔ <س: رامہ راجیہ ] ۔(وَرگہٕ) سُہ راج یُتھ اَنٛدَر لۄکھ سوکھہٕ سأنۍ آسَن ۔سو چھ۔ یُتھ نہٕ کُنٛہِس یا پادشأہی اَنٛدَر رنہٕ کأنٛسہٕ تہٕ تکلیف آسہٕ ۔

رامیشوَر ۔ن ۔مؤل: رامشیور <: رامیشوَر ] ۔ا۔ شِوسُنٛد اَکھ ناو۔۲۔ وَکھنَس اَنٛدَر ہِنٛدبن ہُنٛد اَکھ ترتھ۔

رام ئدٕرنۍ دوٗنۍ ،رام رام ئدٕرنۍ دوٗنۍ ۔سَتہٕ رٕنٛگو گمان ہٕش یوسہٕ روٗدٕ پتہٕ تاپھ گرنہٕ ہٕتۍ اَسمانَس پٕتھ نیران چھےٚ ۔سوٗنٛزُل۔

رام رام ۔ن ۔مؤل: رام رام <س: رامہ+ رامہ ] ۔ ا۔ ہِنٛدبن ہُنٛد اَلِو واکھ ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) ترٛاہہٕ ترٛاہہٕ۔

رام رام گرُن ۔خوادیہٕ خودلیہٕ گرُن ۔دَیہٕ دَیہٕ گرُن ۔

رام لیلا ۔م ۔مؤل: رام لیلا <س: رامہ +لیلا] ۔رام گتھا یہٕ ہُنٛد ناٹک (یُس پأٹھۍ دَشہٕ ہارکین دوہَن) ۔

رانٛ۔م۔مؤل:ران <ف:ران]۔زَنگہِ ہُند ہیٛر یم
حِصہٕ۔رونٛکھ تہٕ لَنگ۔

رانہٕ بہُن، رانہِ ٹھانہِ بہُن۔کاْم اَنٛد واتناوِتھ
فراغژ سان بہُن۔

رانہِ ٹھانہِ روزُن۔فراغژ سان کاْم کَرٕنۍ۔باثمر نہٕ
گَرٕنۍ۔دِل دِتھ کامہِ کُن لَگُن۔

رانہٕ دَرنہِ۔ژوٗرتھ کَرُن۔یہرتھ ہیکُن۔

رانا۔وُچھو"رعنا"۔

رانہِ بٕراٗر۔<پراکرت:رانی۔س:راجنی+ بھٹارِکا]۔
راٗ گنیا۔دورگایہ ہُند اکھ ناو یُس شُرتھا پُناتُلہٕ مُلہِ
چھےٚ۔

رانہِ روز۔م۔مؤل:رانہِ روز <س:راجنی+ رُج]۔
زنانہٕ بیماٗری۔زنانہٕ قوٗصوٗر۔

رانٛس۔م۔مؤل:رانٛس]۔ا۔ڈاٗن۔۲۔(وَرگہٕ پاٗٹھۍ)
لۄولیہٕ گَر۔

رانٛٹھ۔م۔مؤل:رانٛٹھ]۔سوتھُر یا کُج یوسہٕ ڈٕچھن پتھ
پھَبان چھےٚ۔

رانٛڈ۔ن۔مؤل:رانٛڈ <س:رانٛڈا]۔ا۔رَدولہٕ۔رٕ ذیلہٕ۔
بےٚ راہ (شُر بیترِ)۔۲۔سہٕ زٕ ذیلہٕ۔بےٚ راہ
(شُر بیتر)۔۲۔سہٕ زٕ ذیلہٕ شخص یُس اہلس
محلس منٛز شریف پاٗٹھۍ آسہٕ روزان۔

رانٛڈٕ گی۔رَدولہٕ گی۔کھُرۍ پھہٕ گی۔

رانٛگر۔بڈٕگاسی تحصیلس اَنٛدر اکھ گام ییٚتہٕ عبدالاحد آزاد
زامُت چھُ۔اَتیٚک پوٚٹ چھُ مشہوٗر۔

راوٕٹ۔م۔مؤل:راوٹ <س:راترِ + رَکشہٕ] فصلس
بیترِ نظَر گۄذر۔راٗچھ۔

راوٕچھ۔م۔مؤل:راوِچ <س:راترِ + رکشہٕ]۔روت
راٗچھ۔راتس فصلس بیترِ راٗچھ روزُن۔

راوٕک۔نظر گۄذرتھاوَن وول۔راٗچھ دَر (خاص کَرِتھ
کولہٕ روچھ)۔

راوٕل۔ن۔مؤل:راول <پراکرت:راٗلم]۔سہٕ غُنٛڈ
یُس لۄکن وَتھہ راوِریاوَتہٕ ڈالہِ۔

راوٕن ا۔ن۔مؤل:راو <س:؟ راچیتہِ]۔ا۔کانٛہہ چیز
ترتھِ پاٗٹھۍ اور یور گژھُن یُتھ نہٕ اَتھِ ییہِ۔
۲۔(وَرگہٕ پاٗٹھۍ) وَتھ نہٕ ییٚنۍ۔غوطُن گژھُن۔
۳۔دوٗشُن۔پیڈُن۔پشیپُن۔۴۔ضایہ گژھُن۔
رَتھِ نہٕ کھسُن۔۵۔روٗن مَرُن۔م۔: کھانٛدر
کَرۍ تھےٚ راوٕ بچاٗر۔

راوَن تیٚول۔سَخ دَگ یوسہٕ کانٛہہ چیز راونہٕ
اِنسانٛس ووتھِ۔شَر یاٹکھ یُس کانٛہہ چیز راونہٕ
ستۍ روزان چھُ۔

راوَن دود۔سودَگ ہِش یوسہٕ کانٛہہ چیز راونہٕ کِنۍ
ووتھان چھےٚ۔چیز راونہٕ پتہٕ پھیرُن۔

راوَن دیو۔(وَرگہٕ) منٛتر پھۄکِنۍ چیز راوٕنۍ تہٕ راوٕنۍ۔

راوٕ راوُن۔وُچھو"راوٕ رُن"۔

راوٕ رُن۔ا۔بےٚ پَروٲیی کِنۍ چیز اَتھہ منٛز کَرُن۔

۲۔ رُژھرِتھ نہٕ تھوٗن۔ خراب کرُن۔ ۳۔ ضایہٕ کرُن۔

روو گُرشیٹھ مُہر۔ تہٕ دُپتھ گوٚ ییٚمہٕ سُند چیز ہے اَتھہِ منٛز گژھہِ یاراوِتھ چھُ پزنہٕ پیٹھی مول کھارنہٕ یِوان۔

رووٕمُت۔ ۱۔ اَتھہِ منٛز گومُت۔ اَتھس منٛز نہٕ یِنہٕ وول۔
۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) بےٚ گنٛڈ گومُت۔ بےٚ راہ گومُت (شُر بیترِ)۔ ۳۔ جبسوٗڑوٗلمُت۔ پریشان گومُت۔

راوُن ۲۔ ن۔ موٗل: راون > س: راوَنہٕ] لَنکاہُک ہُند پتھ کالُک رازُیس رامہٕ ژنٛدرٕ سٕندِ اَتھہِ جنٛگس منٛز مارِ گو۔ رامایِنُک اَکھ کِردار۔

راہ ۱۔ ن۔ موٗل: راہ > پراکرت: اَوراہ > س: اَپرادھ] جُرم۔ تقصیر۔ گوناہ۔ اَثر۔

راہ آسُن۔ خطا آسُن۔ قصوٗر آسُن۔

راہ کھسُن۔ ہانٛژھ لگٕنۍ۔ اِلزام یُن۔

راہ کھارُن۔ ہانٛژ لاگٕنۍ۔ اِلزام دیُن۔ تقصیر کھارُن۔

راہ لدُن۔ وُچھو "راہ کھارُن"۔

راہ ۲۔ ن۔ موٗل: راہ > س: راہُہ] ۱۔ اَکھ راش۔ ۲۔ اَکھ اَسمانۍ دیو۔ دپان یہ چھُ گرٛہن لگن وِزِ آفتابس تہٕ زوٗنہٕ کھینہٕ یِوان۔

راہ ۳۔ > ف: راہ]۔ وَتھ۔

راہِ خودا ۱۔ خودایہٕ سٕنٛز وَتہٕ۔ ۲۔ خودایہٕ سٕندی ناوٕ۔
۳۔ (وَرگہٕ پاٹھی) مُفت۔ تِتھے۔ برائے خودا۔

راہِ خودایس پیٹھ ترٛاوُن۔ (وَرگہٕ) مالِکہ نہٕ لاگُن۔ ژُکہ دَرنہٕ لاگُن۔

راہِ راست۔ سیُز وَتھ۔ شریف لوٗکن ہنٛز وَتھ۔ شرافتھ تہٕ سبر۔

راہِ عام۔ وَتھ یوسہٕ کانٛسہٕ اَکہٕ سٕنٛز مِلکیَتھ آسہِ۔ وَتھ ییٚمہٕ سأری پکِتھ ہیکن۔

راہِ نجاتھ۔ ۱۔ نجاتُچ وَتھ۔ گونہو تہٕ مُصیبتو نِشہِ موکلارُچ وَتھ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) موکلُن پاے۔

راہ گیر۔ وَتہٕ پکہٕ وُن۔

راہہٕ رَسم۔ > ف: راہ + ع: رَسم]۔ توٚلقاتھ۔ اَکِس بیٚیِس سٕتۍ میلُن گیلُن۔

رائے ۱۔ م۔ موٗل: رائے > ع: رای] ۱۔ سوٗنچِتھ کوٚڈمُت کانٛہہ نتیجہ۔ خیال۔ ۲۔ مَتھ۔ خاہش۔ ۳۔ یِراد۔
۴۔ پوٚکھ۔ طَرف۔ لحاظہٕ۔ ۵۔ مشوٗرٕ

رایہٕ رایہٕ۔ پوٚکھرٕ ژھتھ۔

رائے ترٛاے۔ سوچ نیچ۔

رائے دِنۍ۔ کُنہِ کتھہِ پیٹھ پنُن خیال ظاہر کرُن۔ مشوٗرٕ دیُن۔

رائے روزٕنۍ۔ خیال روزُن۔ باسُن۔ گَل روزٕنۍ۔

رائے کرٕنۍ۔ طَرف کرُن۔ پوٚکھ کرُن۔ نظرٕ کرنہٕ۔ ہشر سان نہٕ بأ کرُن۔

رائے گَژھٕنۍ۔ ۱۔ باسُن۔ خیال یُن۔ ۲۔ بگو خیال گژھُن۔ برأنتی گژھٕنۍ۔

رائے۲ ۔ن۔مؤل: رائے <پڑاکرت: رائے ]۔راز۔
بادشاہ۔

رٔبی (رٔبیع) ۔ن۔مؤل: مؤل: رٔبی <ع: ربیع]۔فصل
یُس سونتہٕ وَتنہٕ ییہِ۔ کنکھ۔ تیلہٕ گوگل تہٕ وُشکہٕ
بیتر۔م: خریف۔

رٔبیع الاول۔مؤل: ربیع الاول <ع: ربیع لاول]۔
ہجری سَنہٕ حسابہٕ وُری یک ترٛیٚیم ربتھ۔

ربیعُ الثّانی۔ن۔مؤل: رٔبیع الثانی<ع: ربیع الثانی]۔
ہجری سَنہٕ حسابہٕ وُری یک ژۄریم ربتھ۔

رٔبڑ ۔ن۔مؤل: رٔبڑ]۔ا۔ دَجہِ ہُنٛد بنوومُت گول شانٛد
گونٛد ہیُٛ یتھ پیٹھ کانٛڈُر لواسہٕ وَہراوان تہٕ
تونٛدرس لاگان چھُ۔۲۔ ژالن ہیُٛ اکھ سامانہٕ
ییمہٕ سٍتؠ کانٛڈُر ژوچہٕ وُری بچہٕ یا تونٛدرس تچھان
چھُ۔

رٔتی ۔م۔مؤل: رٔتی <س: رَتہٕ]۔ کامہٕ دیوٚنی زنانہٕ۔

رٔتن ۔م۔مؤل: رٔتن <ع: رَتنہٕ]۔ا۔ لال جوہر۔
۲۔(وَرگہٕ پأٹھی) یُس سبٹھا تیلک تہٕ جان آسہِ۔

رٔتنہٕ دِپ ۔ن۔مؤل: رٔتنہٕ دِپ <س: رَتنہ دیپہٕ]۔
دِپھ یا ژأنگی چالہِ گاش یُس پُزاہِ وِزِ آلونہٕ
یِوان چھُ۔

رٔتنہٕ جوٗتی ۔ا۔ دِزِوُن رٔتن دِپ ۔۲۔ اکھ بوٗٹۍ ییہِ
چھےٚ اچھن دَوا۔

رٔتنہٕ ژأنٛگج ۔م۔مؤل: رٔتنہٕ ژأنٛگج]۔ تومِلہٕ آنٛکی بنأوی
ہتی ژأنٛگی یِم مہرازَس وِگِس پیٹھ آلوان چھِ۔

رٔتھی ۔<س: رَتھی]۔ رَتھس کھٔستھ۔ تہٕ دُپتھ گو تیزی
سان۔ ژۄترٛ۔ م: یورِ گو وارِ تورِ آورٔتھی۔

رٔتھی کھسُن ۔ا۔ کانہہ تأمیر بیترِ وُلی لنٛد واتناوُن۔
۲۔ (گُنہ تھزرَس بیترِ) وَدان وَدان کھسُن۔
۳۔ (وَرگہٕ پأٹھی) جَل ترقی کرٕنی۔

رٔج ۔ن۔مؤل: رٔج <س: راجہِ]۔ سَرٛکہِ بیترِ لوٗکن
ہنٛز لُجھو لأن ہش۔ وایاہَن لوٗکن ہُنٛد یُن
گژھن لگُن۔

رٔج لگٕنی ۔ وایاہَن لوٗکن بیترِ ہُنٛد پکُن ژٹن ۔ وَتھ نہٕ
موکج آسٕنی۔

رٔچھ ۔م۔مؤل: رَچھ <س: رَکشا]۔ا۔ تأویز۔۲۔ ڈولنہٕ
بیترِ یتھ اندر تأویز تھاوان چھِ۔

رَچھِ ترٛوٗٹ ۔ اکہِ ۂڑ وستک ناو۔اکہ قِسمُک ترٛلوٗرہار۔

رَچھِ کرنہٕ ۔ا۔ (بلایہِ بیترِ نِشہِ رَچھنہٕ موکھہٕ) تأویز
نالُی تراوُن۔۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) تأویزک پأٹھی
رٔژھرِتھ تھاوُن۔ چھینٛڈی تہٕ گوٗنٛدی کرٕنی۔
سبٹھا قدر کرٕنی۔

رٔحیم ۔مؤل: رٔحیم <ع: رحیم]۔ یُس رَحم کرِ۔ یُس اَترَس
پیٹھ مأفی دِییہِ۔ یُس بخشِہِ۔ خوداتعالا سُنٛد اکھ
صِفتی ناو۔

رٔدی ۔مؤل: رٔدی <ع: رَد]۔ رَدگومُت۔ نالگہٕ ہار۔
خراب گومُت۔ ژھوٗٹھ۔ ژھٹھ۔ چھتھ۔ چھاتہٕ۔

رٔدیف ۔ن۔مؤل:رٔدیف <ع:رٔدیف]۔سُہ حَرف یالفظ یُس شارِ پَتھ شارِ پوٚتُس گنڑنہٕ پییہِ۔

رٔڈی میڈ۔ بٔنی بٔنٲیی ۔تیار روتیار۔

رَذالتھ ۔کھٔری گی۔رَدولہٕ گی۔

رٔذیلہ ۔<ع:رٔذیل]۔رَدولہٕ۔کھوٚر۔سِپٔل (ٹھر بیترِ)۔

رٔژھرَن۔رٔژھراونہٕ یِن۔ شیٖرتھ سمبھٲلِتھ تھوٚن۔ خراب گژھنہٕ نِشہِ بچاو۔

رٔژھرن۔وُچھو"رٔژھراوُن"تہِ۔ا۔شیٖرتھ سَمبٲلِتھ تھوٚن۔

۲۔کانٛسہِ سٕتۍ نہ راوُرُن۔جان وَرتاوتھوٚن۔

رٔژھرمُت۔ا۔بچأوِتھ تھوٚومُت۔وارِ وَتہِ تھوومُت۔ شیٖرتھ تھوٚومُت۔حفاظتہٕ سان تھوٚومُت ۔

۲۔کانٛسہِ سٕتۍ رُت وَرتاوکوٚرمُت۔

رٔژھرنہٕ آمُت۔ا۔بچأوِتھ تھونہٕ آمُت۔حفاظتہٕ سان تھونہٕ آمُت ۔۲۔جان وَرتاوکرنہٕ آمُت۔ کانٛسہِ ہُندلحاظ قٲیِم تھونہٕ آمُت۔

رٔژھراوُن۔ن۔مؤل:رٔژھراو ]۔ا۔حفاظتہٕ سان تھوٚن۔وارِ وَتہِ تھوٚن۔شیٖرتھ سَمبٲلِتھ تھوٚن۔

۲۔کانٛسہِ سٕتۍ جان وَرتاوکٔرِتھ پکُن۔مُوکٕری نہٕ گوٚھنہٕ دِنۍ۔

رٔژھرومُت۔وُچھو"رٔژھرمُت"۔

رٔسیٖد ۔ن۔مؤل:رٔسیٖد <ف:رسید]۔وصوٗل کرنک یِقرارنامہ۔

رٔسیٖداٛنُن ۔(وَرگہٕ) پھٔٹراوُن۔راوراوُن۔موکلاوُن۔

کٔرنہٕ لایق نہٕ تھوٚن۔

رٔسیٖل ۔ا۔رَس دار۔میوٗٹھ تہٕ مٔزدار (کھٮ۪ن)۔۲۔اَسہٕ وُن۔میلہٕ وُن (انسان)۔۳۔دِلچسپ۔پٔرنہٕ یِوُن (گوُن بیترِ)۔

رٔفیٖق۔مؤل:رٔفیٖق <ع:رَفیق ]۔ا۔ہَمدٔرد۔اتھہٕ روٚٹ کرَن وول۔یُس اکار بکارِ ییہِ۔ژُکی دَر۔

۲۔یار۔دوس۔

رٔقیٖق ۔مؤل:رٔقیٖق <ع:رقیق]۔تون آب ہیوٗ۔یتھ ژٔری آسہِ ۔زأوِیٖل۔

رٔگڑاوُن۔ن۔مؤل:رٔگڑاو]۔ا۔پِشہِ ناوُن۔۲۔(وَرگہٕ)۔ پٔژھ گاٚرلاگٔنۍ۔گیر کرُن۔

رٔمی۔رٔمی۔م۔مؤل:رٔمی <انگ:رَمی Rummy] تاش اَکھ کھیل یاباز۔

رٔمبہٕ۔م۔مؤل:رٔمبہٕ <پراکرت:رَمب ]۔ا۔دژمُن یا کاسہِ بیترِ ژٔٹنہٕ باپتھ اَکھ ہتھۍ یار۔۲۔اکہِ اَنٛدٕ ژالن دِش کٔرِتھ سیٖخ یمہِ سٕتۍ کانٛدُرتوٚندرَس بیترِ ژھان چھُ یا یمہِ سٕتۍ گوٚرِ بیترِ بأنۍ زِلان چھُ۔

رٔنٛز۔م۔مؤل۔رٔنٛز] گرواجِنٛز۔آشِنٛز۔کوٚلۍ۔

رٔنجِش۔م۔<ف:رٔنجِش]۔مَلالہٕ دٲری۔غوصہٕ۔

رٔنکِش۔مؤل:رٔنکِش]۔پٕچھ ترٲے۔م:کاوِ رٔنکِش۔

رٔنگیٖن۔مؤل:رٔنگیٖن <ف:رنگین ]۔رَنگدار۔یتھ رَنگ آسہِ۔

رٔنگیٖنی۔رٔنگیٖن آسُن۔رَنگدار آسُن۔

رٔنگین مِزاج۔عاشق مِزاج۔عائشہِ مۆت۔خوش مِزاُزی۔اَسہٕ وُن۔

رٔے۔وِچھو"رٔوِدٕ رٔے۔"

رأتِب۔ن۔مۆل:رأتِب <ع:راتبۃ]۔دِہچ کھین خورٕ دٕنی۔

رأٹھ۔ن۔مۆل:رأٹھ <س:راٹِہ]غنٹٕہ۔رَگاڈی۔ لڑایہِ گۆر۔رأنڈی۔

رأٹھِل۔رأنڈی گی۔

رأٹھ گاڈٕ۔اکہِ قسمٕچ گاڈ۔

رأٹھ وانگُن۔رُوانگُن۔وٕٹہِ وانگُن۔ٹماٹر۔

رأٹھ ہُر۔دَچھِ کُجہِ ہُند دبل یُس بانہٕ بیترِ صاف کرنَس لگان چھُ۔یُہ یٔلہ ٹُھک سہٕ گاسہٕ یٔیمہٕ سِتؠ بانَن مَل ہوان چھِ۔

رأچھ۔م۔مۆل:راچھ <س:رَکشہ]۔ا۔خبر گیری۔نظر گذر رتھاوُنی۔پہرِ دیُن۔۲۔یُس نظر گذر تھاوِ۔

رأچھس دوہ تہٕ ژٕ رَس گر۔تہٕ دُہتھ گوُمرِ ہنز رأچھِ چھےٚ رَژھا غفلو کٕنٛ کولہِ گوُھان۔

رأچھدر۔یُس رأچھ کرِ۔روچھ۔

رأچھ راوَٹھ۔ا۔خبر گیری۔۲۔رَچھُن۔بلایہ بیترِ نِشہِ رَچھُن۔بچاو۔

رأچھ راوِٹھ۔وُچھو"رأچھ راوَٹھ"۔

رأچھِ روزُن۔نظرِ روزُن۔نظر گذر تھاوُنی۔پہرِ دیُن۔خبر گیری کرُنی۔

رأچھ کرُنی۔ا۔رأچھ روزُن۔نظرِ روزُن۔۲۔بلایہ بیترِ نِش رَچھُن۔مصیبتہٕ وِزِ اَتھ روٹ کرُن۔

رأسی۔<پراکرت:رِسہ ]۔ٹلی ٹلی غأب۔ژٕمینہٕ بُزی۔ضایہ۔

رأسی گژھُن۔ٹلی ٹلی غأب گژھُن۔راوُن۔ژٕمینہٕ ٹلی ژلُن (پگہٕ وُن آب بیترِ)۔

رأستی۔م۔مۆل:رأستی<ف:راستی]۔سبزٕ ریژر۔پوٚز۔ جأنی۔

رأشی۔<ع:راشی ] کوٚژھ ہینہٕ وول۔یُس رُشوَتھ کھوان آسہِ۔

رأضی۔مۆل:رأضی <ف:راضی ]۔ا۔خوش۔شاد۔سیر۔۲۔تیار۔رَضامَند۔مِ:بہٕ چھُس یہِ کأم کرنَس پٮ۪ٹھ رأضی۔

رأضی تھوُن۔ناراض نہٕ کرُن۔خوش تھوُن۔

رأضی روزُن۔ا۔مہربان روزُن۔۲۔کأنسہِ پیٹھ خوش روزُن۔ناراض نہٕ گژھُن۔

رأضی کرُن۔ا۔سیر کرُن۔(کأم بیترِ کرنہٕ باپتھ)۔

رأضی گژھُن۔ا۔سیر گژھُن۔خوش گژھُن۔۲۔تیار گژھُن۔مانُن۔آٹنٛز واٹنٛ یُن۔

رأضی نامہٕ۔سُہ یقرارنامہٕ یتھ اَندَر مُقدمہٕ والین ہُند پانہٕ وأنی کوٚرمت فأصلہِ لیکھتھ آسہِ۔

رأفِض۔مۆل:رأفِض <ع:رافِضۃ]۔سُہ یُس پنٕنِس سَردارَس دوکھ دِتھ ترٛاوِ۔یُس نہٕ پنٕنِس

زِٹھس ستۍ وفأدأری کرِ۔

رأقم ۔مؤل:رأقم]۔لیکھن وول۔

رأ گنۍ (راگنی)۔م۔مؤل:رأگنۍ<س:راگنی]۔گیوٗن لہر۔

رأ گی!۔مؤل:رأگی<س:راگی]۔رایہ بۄ رُت۔لولہِ ہۄت۔

رأ گی۲۔مؤل:راگی<س:راگی]۔راگ زانن وول۔ یُس جان گیوٗن زانہِ۔

رأنم ۔رازِ سی۔راج۔

رأنہِ،رینہ۔مؤل:رأن <س:راجانگہ ]۔کأشرِ ہن ہنز اکھ کرام۔

رأنۍ ۔م۔مؤل:رأنۍ<پراکرت:رانی<س: راجنی] پادشاہ باے۔رازِ باے۔

رأنِتس ۔وِچھو "رانتس۔"

رأنٹن ۔ن۔مؤل:رأنٹن]۔ردولہِ سپدٕل (شُر)۔

رأنڈۍ ۔رأٹھی ۔لڑایہ گوٚر۔پتھ دَرغنڈٕ۔

رأنڈی گی ۔غنڈٕ گی۔رأٹھل۔

رأوی۔ن۔مؤل:رأوی <ف:راوی] روایتھ کرن وول۔یُس کُنہ واقعٕ ذِکر کرِ۔وَنن وول۔

رأہب ۔ن۔مؤل:رأہب <ع:راہب ]۔یہوٗدی عبادتھ خانک زِٹھ۔

رأئج۔مؤل:رأئج<:رأئج]۔یتھ رواج آسہِ۔یہ وَرتاوس منز آسہِ۔چلہٕ وُن۔

رأیِل ۔ا۔بۄڈ۔ل یتھ چھ وارِیاہ بۄ ڈتہٕ گوٚن چھُ آسان۔

۲۔(وَرگہٕ قدآوار۔تھۄد۔نلہٕ نگھ۔ڈُکانِل۔

رأیِل گَب۔اکھ بوڈ قسم۔سیہ چھُ مرگن بیترِ لُڈرآسان۔

رِبَن ۔ن۔مؤل:رِبن <انگ:رِبَن۔Ribbon] ا۔مَستَس گنڈنک فیتہٕ۔۲۔ٹایپ مشینہٕ ہُند فیتہٕ۔

رِباس۔ن۔مؤل:رِباس <ف:ریباسی ]۔اکھ بۄٹۍ یوسہٕ قبضس تہٕ دَواچھے۔رَبۄند چٕنی۔

رِٹ۔م۔مؤل:رِٹ <انگ:رِٹ Writ]۔فوری فأصلہٕ کرنہٕ باپتھ عدالتس کوٚرمت درخاس۔

رِٹایر (گرِشُن)۔پیشنس پتھ نوکری منزٕ نیرُن۔ سبکدوش سپدُن۔

رِچہ،رِچہ۔م۔مؤل:رِچ <؟س:رچ]۔ترٕ۔تلمہٕ۔ریٔنچہٕ۔پلوٚن بیترِ گأمژ رٕچہ۔

رِچہ کڈنہٕ۔کتابہٕ۔پلوٚک بیترِ۔تیٚوت زیادٕ استعمال کرُن۔یوٗت زَن یہ ڈٔلۍ زِتہ رِنہٕ۔

رِحَل۔م۔مؤل:رِحل <ع:رحل]۔پچھِ بہِ یتھ پرنہٕ باپتھ (زِیادٕ تھی مذہبی) کتاب وَہرأوِتھ تھوان چھ۔

رِدا۔م۔مؤل:رِدا <ع:رِدا]۔سوٗژ اوَر یوسہ کانہہ رُت انسان پننہٕ نس مُریدس عطا کرِ۔پۄژ۔

رِزَلٹ۔ن۔مؤل:رِزَلٹ <انگ:رِزَلٹ Result]۔امتحانہٕ بیترِ ینک نتیجہٕ۔

رِزِق۔ن۔مؤل:رزق <ع:رزق ]۔دوہ دِشک کھین۔غذا۔زُوٚنکۍ ذٔرِ یہ۔

رِزِق رَسان۔ رِزق واتناوَن وول تہٕ ڈٕپتھ گوخودا ے۔

رِزِق واتناوُن۔ روٗزی واتناوُن۔ زُونک چاٖر سوزُن

رِس، رِسَس۔ ن۔ مؤل: رِس < انگ: رِسَس Recess ]۔ (منز دُپہرس مدرس لُوکن بیترِ) آرام کرنک یا کھیٚنہٕ چیٚنک وَقفہ۔

رِسالت۔ < ع: رسالۃ]۔ پاٛغمبری۔

رِسالہٕ۔ < ع: رسالۃ]۔ ا۔ لگ بگ اُٹھن ساسَن گُری سوارَن ہُند دَستہٕ۔ ۲۔ گُری سوار۔ ۳۔ کانٛہہ مضموٗنَن ہنٛز کِتاب یوسہٕ وَقتہٕ وقتہٕ گنڈتی پاٛٹھۍ نیران چھےٚ۔

رِسالہٕ دار۔ اکہٕ رِسالُک اَفسر۔

رِستہٕ۔ ن۔ مؤل: رِست ]۔ اَکھ ضِیافتھ یوسہٕ ماز س بَناونہٕ یوان چھےٚ۔

رِسٹ واچ۔ م۔ مؤل: رِسٹ واچ < انگ: رسٹ واچ Wrist wacth]۔ مَرٕ ھ گرٕ۔

رِش پرش۔ م۔ مؤل: رِش < ویدک: رِش ]۔ ا۔ دٕ ے۔ نفرَتھ۔ کُھر۔ ۲۔ اَن ہٕشَر۔ تَضاد۔

رِشتہٕ۔ ن۔ مؤل: رِشت < ف: رِشتہ۔ بَندتھ۔ اُشناوی۔ توٗلُق۔

رِشتہٕ دار۔ اُشناو۔ بَند۔

رِعایَتھ۔ م۔ مؤل: رِعایَتھ < ع: رعایۃ]۔ ا۔ (رٕھبَس بکنہٕ نَس منز) نَرمی۔ چھوٗٹ۔ ۲۔ طرفدٲری۔

رِعایا۔ مؤل: رِعایا]۔ رَعیَتھ۔ لُوکھ۔

رِکاب۔ ن۔ مؤل: رکاب < ع: رِکاب]۔ پایرِ۔ شَیٚتر دٕ گُری ہوٚی ییم زینَس دوٕیوٚ طرفو الاَنڈی آسان چھِ تہٕ یِمَن منز گُری سوار کھور ترٛاوان چھُ۔

رِکاڈ۔ ن۔ مؤل: رِکاڑ < انگ۔ رِکاڈ Record۔ اِندراج۔ کُنہٕ پیٚٹھ دَرج۔ تأرِتھ۔ ۲۔ اَکھ خاص گول پلیٹ یتھ منز آواز بَند چھےٚ یِوان کَرنہٕ تہٕ یُس گَتھ باجَس پیٚٹھ واینہٕ یِوان چھُ۔ ۳۔ شُل یا کانٛہہ سَرکٲری کاکُد بیترِ یُس نقل کَرِتھ موٗحفوظ تھاونہٕ ییہِ۔ ۴۔ تھٔکبَن لایق تہٕ یادتھوٗن لایق کانٛہہ کارنامہٕ۔ تھوٚد کارنامہٕ۔

رِکاڈ تھوٗن۔ کانٛہہ تھٔکبَن لایَق کارنامہٕ کَرُن، ناوتھوٗن۔

رِکاڈ کَرُن۔ گَتھ بیترِ رِکاڑ کِس پلیٹس پیٚٹھ تارنہٕ۔

رِکاڈ کیپر۔ دَفترُک سُہ مُلاَزم یَس نِش سَرکٲری مِثلہٕ بیترِ موٗحفوظ آسَن

رِکاٛبۍ۔ م۔ مؤل: رِکاٛبۍ < ف: رِکابی]۔ ترٛامہٕ چالہِ لوٚکٹ بانہٕ پلیٹ وُچھو ''رِکب'' تہٕ۔

رِکب۔ م۔ مؤل: رِکب < ف: رِکابی]۔ رِکاٛبۍ۔ پلیٹ۔ لوٚکٹ تھال۔

رِکنی۔ رِکن۔ م۔ مؤل: رِکن]۔ کھر۔ رِس۔

رِکنۍ گرٛھنۍ۔ ا۔ (رَبہ یا کُنہٕ پشلِس چیزَس پیٚٹھ) کُھر گرٛھنۍ۔ ۲۔ دکارٕ بارَس بیترِ اَندَر) زَکھ واتُن۔ ۳۔ پھوٗنۍ۔ تُرٛنۍ۔ وٕسنۍ۔

رِکنِل۔ یتھ پیٚٹھ کھر گرٛھنُک خطرٕ آسہٕ۔ پشُل۔

رِکھ۔ رِکھ۔ م۔ مؤل: رِکھ < س: ریکھا۔ رِکھ]۔ ا۔ خط۔

لکیر۔۲۔زیوٗٹھ تہٕ کھجِر روس نشانہٕ۔یُس قلمہٕ
بیترِ سٟتؠ کُنہٕ پیٹھ تژاونہٕ ییہِ (جیومٹری)۔
۳۔اَپچ بیترِ گیٖنٛز۔۴۔حد۔بَنہٕ۔۵۔رنگدار پیٖنٛز۔
یوسہٕ ووٚنَن وِزژاوَرِ بیترِ دامَنَس تَل تژاوان چھِ۔
کِنارٕ۔۶۔آکھ یا بیٚیہِ کُنہٕ سٟتؠ ژٕمپَس تژاوِمژ
پھژ اتھ ہِش۔۷۔آپچ بیترِ لوکٕٹ دار۔

رِکھِ پیٹھ رَٹُن۔عاَنِ موٗقَس پیٹھ ہتھ رَٹُن۔وَقتہٕ
وِزِ بَنٛد کرُن۔گلہٕ پھرنَس نہٕ وار تھَوُن۔چورتہٕ
کرُن۔

رِکھِ تارُن۔کأنسہِ نِش مَطلب بَرابر کرُن۔کُنہٕ
چیٖز با پتھ آماد کرُن۔ناوِوالُن۔

رِکھِ پٕٹ۔۱۔سو پٕٹ یوسہٕ رِکھِ بیترِ دِنہٕ وِزِ کاکَز
وَرقَس تلہٕ تھوان چھِ۔۲۔رِکھ دِنچ پٕٹ۔
رؤلر۔رؤلہٕ پٕٹ۔

رِکھِ پٕژٕ کرٕنۍ۔کھرِ پٕژٕ۔بَد خط لیکھُن۔تتھ کُنۍ
لیکھُن۔ییہِ نہٕ پَرنُے تگہِ۔جان دستخط نہٕ آسُن۔

رِکھِ قلَم۔۱۔اکہِ قسمُک ٹھپہٕ۔۲۔تتھۍ ییمہٕ سٟتؠ داتَس
بیترِ نقشہٕ کأم کران چھِ۔

رِکھ دِنۍ۔نِشانہٕ تژاوُن۔حأطہٕ یا بَنہٕ گنٛڈُن۔

رِکھَل۔یتھ رِکھِ تژأوِتھ آسَن۔رِکھِ دار (کپُر بیترِ)
رؤل دار (کاکَز بیترِ)۔

رِم۔ن۔موٗل: رِم > انگ: رِم۔Ream]۔وٕہ دستہٕ
کاکَز۔

رِنہٕ رِنہٕ۔موٗل: رِنہٕ رِنۍ ؟ س: رِنٛگ] وارِ وارِ۔آہستہٕ۔
لوتہٕ لوتہٕ۔

رِنٛد۔موٗل: رِنٛد < ف: رِنٛد] یُس نہٕ مَذہَبہٕ کِس ضابطَن
تہٕ قأیدَن ہُنٛد پابَنٛد آسہِ۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ)
عأشہٕ موٗت تبلنٛگہٕ۔

رِنٛزُن۔ن۔موٗل: رِنٛز < س: رِچ]۔م: پالی: رِنٛچِتہٕ]۔ژوٗرِ
ژھیٚپہٕ ژٔلُن۔ژھیٚپھ دِنۍ۔

رَنٛزٕ وُن۔۱۔ژوٗرِ ژھیٚپہٕ غأب کرُن (مال جاداد بیترِ)
وارِ وارِ ہیتھ ژٔلُن۔۲۔ژھیٚپھ دِیاوناوُن۔

رِنٛگ ۱۔م۔موٗل: رِنٛگ] گیٖنٛزٕ۔پیٖنٛزٕ ہا۔کُنٛچ ژھٕٹھ
ہِش۔مِ: ڈُکھ رِنٛگ۔وارِ رِنٛگ۔

رِنٛگ ۲۔م۔موٗل: رِنٛگ > انگ: رِنٛگ: Ring]۔۱۔گنٹی۔
گنٹی ہنٛز آواز۔۲۔کوٗر۔

رِنٛگہٕ۔ن۔موٗل: رِنٛگ]۔بزیٖن ہُنٛد اکھ قسم۔

رَنٛگہٕ روچھ۔ن۔موٗل: رنگہٕ راچھ]۔اکھ جنگلی
بوٗٹۍ۔دِپان اَمِیُک موٗل چھُ رِنٛگَس دَوا۔

رِنٛگہٕ رأچھ چاے۔اکھ جنگلی چایہِ قسم۔وُنٛۍ
اِشتابَر ہُنٛد موٗل یُس چایہِ بدلہٕ چوان آسۍ۔

رِنٛگ شال۔۱۔شالُک اکھ قسم۔۲۔سبٹھا زأویٚل
شال

رِوالوَر۔ن۔موٗل۔رِوالوَر > انگ: رِوالوَر: Revolver]۔
لوکُٹ پستول یتھ اَنٛدر گولہٕ اکھ اکِس پتہٕ
تژاونہٕ باپتھ بَروٗن ژھَل آسان چھُ۔

رِوُن ۔ن ۔موٗل: رِو < س: رُوَنہٕ ]۔ا۔ وَدُن ۔ لبلہٕ گرنہٕ ۔۲۔ بارودِنی ۔

رِہٲیِش ۔م ۔موٗل: رِہٲیِش ہ : رہنا+ ف : پوٗت لوٗگ ۔یِش]۔ا۔ کُنہِ جایہِ روزُن ۔ بُسن ۔ گرٕ گرُن ۔۲۔ روزَن جاے ۔ لُر جاے بیترِ ۔

رِیاسَتھ ۔م ۔موٗل: ریاسَت < ع: ریاسۃ ]۔ا۔ سیاسَتک تَنظیم ۔۲۔ سُہ سوٗرے علاقہٕ یَتھ پیٹھ (کُنہِ نِظامَس تَل) کُنی حۄکوٗمَتھ آسہِ ۔

رِیاض ۔ < ع: ریاض]۔ کانٛہہ چیز ہیچھنَس مَنٛز مێہنَتھ ۔ سادنا۔

رِیاضَتھ ۔ پاکبٲزی ۔ پَرہیزگٲری ۔ تپَسیا۔

رِیاکار ۔ن ۔موٗل: ریاکار < ع: ریا+ف: کار]۔ مَکار ۔ دوکھہِ باز ۔ پاکھٔنڈی ۔

رِیاکٲری ۔ مَکٲری ۔ دوکھہِ بٲزی ۔

رِیال ۔ < ع: رِیال ۔ سعوٗدی عَربُک اَکھ سِکہٕ ۔

رٮ۪تی ۔م ۔موٗل: رٮ۪تی < س: ری]۔ا۔ شُستر ژٕنٛج لیٖترِ ۔ ۲۔ پھَہرٕ وار ۔

رٮ۪تھ ۔م ۔موٗل: ریت < س: رہت ]۔ وَتھ ۔ رِواج ۔ رِوایتھ ۔ طریقہٕ ۔ دستوٗر ۔ رَسم ۔

رٮ۪تھ ٹُلنی ۔ تہٕ نہٕ کرُن یہِ یتھ کُن گران اَسی ۔ پرانہِ کُنہِ رِواجہِ نِشہِ پَتھ ہیوٗن ۔ رَسم پھُٹرُن ۔

رٮ۪تھ کڈٕنی ۔ا۔ نوٗو رِواج قایِم کرُن ۔۲۔ (ہزلہٕ) بِدعت نوٗو راوُن ۔

رٮ۪حَل ۔ یَس رٮ۪ٹھ لاگنُک مَرضہٕ آسہِ ۔ یُس وَدَن وان لاگہِ ۔ وَدِوُن (شُر بیترِ) ۔

رٮ۪حٕ ۔ن ۔موٗل: رٮ۪حٕ < ع: رٮ۪حٕ]۔ اَکھ بمٲری یَتھ مَنٛز بیترِ دَگ گران چھےٚ ۔

رِحَل ۔ (رٮ۪حَل) ۔ یَس رٮ۪حٕ آسہِ ۔

رِیڈِنٛگ روٗم ۔ن ۔موٗل: رِیڈنٛگ روٗم < انگ: رِیڈنٛگ روٗم Reading room]۔ کِتاب گر بیترِ ۔ سُہ کُمرٕ یَتہِ لوٗکھ پَران لیکھان چھِ ۔

رٮ۪ڈی ۔ لوٗکٕٹ رٮ۪ڈ ۔

رٮ۪شَم ۔ن ۔موٗل: رٮ۪شَم < ف: رٮ۪شَم]۔ پوٗٹ ۔ پٲڈی کَپُر ۔

رٮ۪شمی ۔ پاٹٕیوٗ ۔

رٮ۪کھ اَلنی ۔ وبسرُن ۔ تَتھ اَژنی ۔ اَسرِ وبسر گژھنی ۔

رٮ۪ل ۔م ۔موٗل: رٮ۪ل]۔ا۔ کُتَس یاداتَس بیترِ بنٲوٕمژٕ لی ہش یَتھ پیٹھ پَن یا بیٖیہِ کانٛہہ چیز وَلنہِ یِوان چھُ ۔ پیچُک ۔ گوٕٹہٕ ۔۲۔ فوٹوٗ فِلمِ ۔

رٮ۪ٹھ ۔م ۔موٗل: رہنٹ ]۔ا۔ وَدَن وان ۔۲۔ یوسہٕ کِرایہِ پیٹھ موردَس وَدنہِ گژھہ ۔

رٮ۪ٹھ گر ۔ زَنانہٕ یوسہٕ کِرایہِ پیٹھ موردَس وَدنہِ آسہِ گژھان ۔

رِژُن ۔ن ۔موٗل: رِژٕ < س: روٗڈھ]۔ا۔ اَگادِ گژھُن ۔ پَتہٕ لگُن ۔ تھُھ نہٕ ٹَلنی ۔ چھپر گنٛڈٕنی ۔۲۔ (وَرگہ پٲٹھی) بوٲری گرٕنی ۔ اَڈٕزاڈٕ کرٕنی ۔

رِژَر ۔ن ۔موٗل: رِژَر < س: رِسہٕ]۔ا۔ جٲنی ۔۲۔ اُربر ۔ وار

وَتہٕ آیِنٛژ حالتھ۔

رٕژرپأٹھ۔أہی پأٹھ۔خأرپأٹھ۔ألی واکھ۔

رٕژر گرُن۔ا۔جأنؠ گرٕنؠ۔رُت وَرتاوُن۔۲۔دود بٔلُن ہیوٚن۔انگ یُن۔پوٗر برہیٚون۔

رٕژرکاچھُن۔جأنؠ پٔژھنؠ۔رُت پٔژھُن۔

رٕس۔کھر۔رٕگن۔رٕگنؠ۔

رٕسُن۔ن۔موٗل:رٕس<پراکرت:رِس<س:ریشہ]۔ ا۔ ژٔلُن۔ژھٚپھ دِنؠ۔نظر۔بچأوِتھ ژٔلُن۔ پدٕ ڈألِتھ ژٔلُن۔۲۔راوُن(پونؠ بیترِ)۔ ۳۔(وَرگہٕ پأٹھؠ)۔مَرُن۔۴۔کھکھرِ وَسُن۔ ژٔمینہِ ہُندر أسی گرٕژھن۔میٚوٗ پَنٕنہِ جایہِ نشہِ ڈٔلنؠ۔ ۵۔کھسُن شرٕ پُن کھسنہٕ یُن۔

رٕساوُن۔ژٔلراوُن۔ٹکھ کڈناوُن۔ژوٗرِ تھاوُن۔ دبأوِتھ تھوٗن۔

رٕسِتھ بٕہُن۔ژھٚپھ دِتھ بٕہُن۔

رٕسہٕ وُن۔(وَرگہٕ)۔گرٕژھ وُن۔مَرُوُن۔مَرنہٕ سَر۔

رٕش۔وُچھو"رِش۔"

رٕشتھ۔<س:رِش]۔یہٕ أکھ أرکس لارِ(بمأرؠ بیترِ)۔ لاگ دار۔مِ:زُکام چھُ رٕشتھ۔

رٕگن۔رٕگنؠ۔م۔موٗل:رٕگن<س:رینگھنہ]ا۔(رٔبہِ یا گنہِ پشلِس چیزِس پیٹھ)رٕس۔کھر۔۲۔پشجار بیترِ یتھ پیٹھ کھور ڈٔلہِ تہٕ وُسی پینُک خطرٕ آسہِ۔ ۳۔کارٕبارس بیترِ اَندر رٕزٕ بَروس نوقصان۔دَب۔

رٕکہٕ وُن۔کھکھرِ پکہٕ ناوُن۔رٕکنہِ پکناوُن۔کھرِ پکہٕ ناوُن۔

رٕکھ۔وُچھو"رِکھ۔"

رٕپ،روٗپ۔ن۔موٗل:رٕپ<س:روٗپہ]۔ا۔شٔکل۔ صوٗرتھ۔۲۔ترا۔چال۔۳۔خوٗبصوٗرتی۔

رٕپٹھ،روٗپیٹھ۔مأرٕ موٗنٛد۔خوٗبصوٗرتھ۔شوٗبہٕ وُن۔

رٕپہٕ گر۔سازِگر۔زَنانہٕ یوسہٕ ساز کرِنس پیٹھ نوکر آسہِ۔

رٕپہٕ وان۔سوٗنٛدر۔شوٗبہٕ وُن۔شکلہٕ کنؠ جان مأرٕ موٗنٛد۔

رٕپہٕ ہال۔سُہ کُمر یتہٕ زَنانہٕ سِنگار کران آسَن۔

رٕپؠ۔ا۔شکلہٕ۔صوٗرژ۔کأنٛسہِ ہِنز شکلہٕ۔۲۔کأنٛسہِ گُن۔مِ:ژٔرے ہوونے میأنؠ رٕپؠ۔

رٕپؠ ہال۔<س:روپہ+شالی]۔أکھ توملہٕ ذاتھ۔أتھ چھِ زٕ ٹھؠ پھٔلؠ آسان۔

رٕنؠ وور۔موٗل۔رٕنؠ وار<س:راجانکہ+واٹِکا]۔ سرینگرس اَنٛدر أکھ علاقُک ناو۔

رُبأے(رُبأعی)۔م۔موٗل:رُباے<ع:رُباعی]۔ہزج بحرس منٛز ژُمصری نٔظم یتھ گوڈنکس دوٚیمس تہٕ ژوٗرِمس ہوٚے قافیہ آسان چھُ۔

رُت۔ن۔موٗل:رٕت<س:رِتہ]۔لگہٕ ہار۔جان۔زَبَر۔ ٹھیکھ۔پزٕ یہٕ وُن۔رَمہٕ وُن۔جان وَرتاوٕ وول۔

رٕتِس پچھِ داہأ گرٕ۔جان کارِس چھِ سأرؠ وومیدار۔

رٕتہِ موکھ۔سیٛد بتھ۔أسان أسان۔أسہٕ وِنہٕ ہونٛچہِ۔ خوش خولق پأٹھؠ۔

رٕتؠ پأٹھؠ۔ٹھیکھ پأٹھؠ۔جان پأٹھؠ۔شوٗبہٕ دار پأٹھؠ۔

رُت گُت/ رُت کرُت ۔ جان تہٕ تہٕ ناکارٕ تہٕ ۔

رُجوٗع ۔ ن ۔ موٗل: رُجوٗ < ع: رجوٗع ]۔ (کُنہِ چیزٕ س کُن )۔ مأیِل ۔ کُنہِ کُن لو گمت ۔

رُجوٗع کرُن ۔ کُنہِ کُن مأیِل گژھُن ۔ کُنہِ کُن پھیرُن (دِل یا مَن )۔

رسوٗل ۔ ن ۔ موٗل: رُسول < ع: رسول ]۔ خوداین سٕندِ طرفہٕ سوزنہٕ آمُت صاحبِ کِتاب پأغمبر ۔

رُسُول اللہ ۔ خوداین سُند رُسوٗل ۔

رُستم ۔ ن ۔ موٗل: رستم < رُستم ]۔ ا۔ اکھ روأیتی پہلوان یمی سُند ذِکر شاہنامس منٛز کرنہٕ آمُت چھُ ۔

۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) بہٕوُدُر ۔ وُسوار تہٕ طاقتھ وَر ۔

رُستمی ۔ ا۔ بہٕوُدری ۔ ۲۔ (وَرگہٕ) رأٹھل ۔ غنڈٕ گی ۔

رُسوا ۔ موٗل: رُسوا < ف: رسوا]۔ چھٕتہٕ ۔ خجل ۔ بُتھ دِیُن لایق نہٕ ۔

رُسوأیی ۔ م ۔ موٗل: رُسوائے < ف: رسوایی]۔ خجالتھ ۔

رُشوَتھ ۔ وُچھو "رَشوَتھ ۔"

رُکاوَٹھ ۔ تھوتھ ۔ روٹ ۔ ٹھاکھ ۔ حَرجہٕ ۔

رُکاوَٹھ کرٕنۍ ۔ ٹھوٗنٛٹھ اَنٛنۍ ۔ تھوتھ کرٕنۍ ۔ حَرجہٕ کرُن ۔

رُکاوَٹھ گژھٕنۍ ۔ تھوتھ گژھٕنۍ ۔ حَرجہٕ گژھُن ۔

رُکاوُن ۔ ن ۔ موٗل: رُکاو]۔ ا۔ ٹھہراوُن ۔ قرار کرناوُن ۔
۲۔ کُنہِ نِش پتھ رٹُن ۔ بازتھوُن ۔

رُکُن ا۔ ن ۔ موٗل: رُک < پراکرت: رُک]۔ ا۔ ٹھہرُن ۔ قرار کرُن ۔ بنٛد گوژھُن ۔ اَڈوَتی روٗزتھ گوژھُن ۔

۲۔ پتھ روزُن ۔ پوٚت ہیٚون ۔

رُکی رُکی ۔ ٹھہری ٹھہری ۔ قرار کٕری کٕری ۔ مٔژی مٔژی ۔

رُکن ۲ رہٕ کن ۔ موٗل: رُکن < ع: رُکن ]۔ کُنہِ جمأژ یا مُجلِسہِ ہُنٛد ممبر ۔ جُز ۔

رُکوٗ، رُکوع ۔ ن ۔ موٗل: رُکوع < ع: رُکوع ]۔ ا۔ نماز اَنٛدر پان نوٗمرأوِتھ کوٹھین دوَن اَتھہ دِنۍ تہٕ سُبحان رِبی العظیم پرُن ۔ ۲۔ قُرآنِ شریفہٕ کین سوٗرَن ہٕنٛدی حِصہٕ ۔

رُکمٔنی ۔ م ۔ موٗل: رُکمٔنی < س: رُکمِنہٕ ]۔ بگوان کرٛشنہٕ سٕنٛز پٔٹ رأنی ۔

رُگالی ۔ رُگالی ژادَر ۔ اکہٕ قسمٕچ ژادَر ۔

رُم ا۔ ن ۔ موٗل: رُم < س: رومَہ ]۔ ا۔ وال ۔ (خاص کرِتھ ترٛبن زنٛگلین ہٕنٛدی )۔ ۲۔ کُنٛس یا پٔشِس بیترٕ سُند جِٹھ وال ۔

رُمہٕ تٕنۍ ۔ سو گاوِیَس نہٕ جتھ گُنۍ آسہِ ۔ یژھ گاو چھےٚ دوٚدِنٕس کرِتھ جان گٕنٛزرنہٕ یِوان ۔

رُمہٕ جتھ ۔ سیٹھا ژھوٚٹۍ وال یِم نہٕ کٔتنہٕ تہٕ پین ۔

رُمہٕ داہ ۔ (ل ۔ م) رُم دَزنٕس یوتاداہ ۔ سیٹھا کم داہ ۔ موموٗلی ژھوکھ ۔ کٕمہِ پٔہن دَزُن ۔

رُمہٕ رَز ۔ والہٕ رَز ۔

رُمہٕ راٹھ ۔ (ل ۔ م) والَن ہُنٛد گوڈ ۔ والَن ہٕنٛدی موٗل ۔ (وَرگہٕ پأٹھی )۔ ذاتھ بُنۍ یاد ۔ اصلیتھ ۔

رُمہٕ راٹھ زاءلنۍ ۔ (وَرگہٕ پأٹھی )۔ جَدَن اَجدادَن

تام خَبَر ییٚنٛز۔لۄتمِن پۄتمِن وو ہوُن۔

رُمہٕ راٹھ گاٮ۪نٛز۔(ل۔م) والَن ہٕنٛدۍ مۄل گاٮ۪نٛز (وَرگہٕ پأٹھۍ) مۄلۍ خَتم گرُن۔بُنٛز یادے گاٮ۪نٛز۔

رُمہٕ رُمہٕ۔اکِہ اکِہ رُمہٕ۔تانہٕ تانہٕ۔اَنٛگہٕ اَنٛگہٕ۔ پیٚنٛتہِ پیٚنٛتہِ۔ہَنہِ ہَنہِ۔

رُمہٕ ژٕھر۔والَن ہٕنٛز بَنأوِمٕژ ٹاکرِ چالہِ اَکھ لَد اَخٕ ٹۄپۍ۔

رُمہٕ ژھۄر۔یَس نہٕ پأنٛس پٮ۪ٹھ کہنٛز وال آسہِ۔

رُم رُم شَرمَنٛدٕ تھاوِنۍ۔(وَرگہٕ پأٹھۍ) سبٹھا بۄڈ اِحسان گرُن۔

رُم۲۔(وَرگہٕ پأٹھۍ)۔بُرٕنٛز۔ژیُہ۔سبٹھا کم وَق۔

رُم۳۔م۔مۄل: <س:رومَہ]۔کانٛہہ چیز پھُٹہٕ نٕچ رِکھ(یِژ پأٹھۍ شیشہِ یا بانہٕ بیترِ)۔

رُمچھ۔اَکھ ترکأرۍ۔اکِہ سبزی ہُنٛد ناو۔

رُمال۔م۔مۄل: رُمال<ف:رُمال]۔ڈٕج۔ڈٕج یوسہٕ چَنٛدَس تھوان چھِ۔

رُمہٕ یۄش۔کٔشیرِ ہٕنٛدِس اَکِس مشہوٗر ریٚشۍ سُنٛد ناو۔ دَپان اُمِس آس واریاہ وأنٛس۔

رُمہٕ ریٚشُن آے۔سبٹھا زِیٹھ وأنٛس۔م:بوٚہلٕنٛز وأنٛس

رُمہا۔م۔مۄل: رُمہٕ ہا<س:رامَہ + ماشَہ]۔اکِہ دالہِ ہُنٛد ناو۔

رُنُن۔ن۔مۄل: رُن <س:روپَنَہ]۔رُوُن۔گُل بیترِ وَوُن۔گُل دیُن۔

رُوُن۔ن۔مۄل: رُو<س:روپَنَہ]۔ا۔گُل۔مادیا گُلیٚگ قلم کھوڈَس مَنٛز وَونہٕ باپتھ دَباوُن۔۲۔تھَل وأتراوِنۍ۔تھَل پھِرِنۍ۔تھَل گرِنۍ۔

رُوِنُن۔وِچھِو" رُوُن"۔

رُہ۱۔ن۔مۄل: رُہ<س:رُہ] دَرٕ۔دزٕنہٕ۔م: بٔرُہ۔

رُہ۲۔ن۔مۄل: رُہ] اَکھ دَوایُٹی۔یہِ چھِ گُپٕنَن دِوان

رُہل۔اکِہ پوشُک ناو۔یہِ چھِ رَنٛگَس ترٛ اوان۔

رُہَن۔روہَن۔

رُیل۔اکِہ وٕسنۍ گُلیٚگ مۄل یُس پکوَن کرٕہُن رَنٛگ دِنَس لگان چھُ۔

روٗبُل۔ن۔مۄل: روٗبل<روٗسی:روٗبل:Roubel] روٗسُک اَکھ سِکہٕ۔

روٗپ۔وِچھِو" رُپ"۔

روٗپہٕ وَن۔ژرٛارِ شرٕ یفَس نکھہِ اَکھ گام ییٚتہِ شیخ العالمؒ یہَن وٕرِی یَن قَرار کوٚر۔

روٗح،رُح۔ن۔مۄل: روٗح<ع:روح]ا۔جسمَس اَنٛدَر زِنٛدٕ آسنُک غٔبی طاقتھ پزان۔زُو۔جان۔ ۲۔مورِد۔یُس نہٕ زِنٛدٕ آسہِ۔۳۔کُنہِ چیزُک جوہَر۔ ۴۔دِل۔۵۔(مورِدٕ ہنٛز) ژھاے۔

رُحہٕ لِب ڈ۔یُس ڈلۍ کھوژِ۔

روٗحِ رُوان۔یَس پٮ۪ٹھ کُنہِ کامہِ بیترِ ہُنٛد دارِ مَدار آسہِ۔یُس ییمۍ ہنٛدۍ کنۍ کأم کار چلہِ۔

روٗح تازٕ گرٕژھُن۔خوش گرٕژھُن۔دِل پھولُن۔

روٗحأنی۔مۄل: روٗحأنۍ <ع:روح]۔ا۔یتھ روٗحس

ہتۍ تولُق آسُن ۔ رٗحَس مُتعلق ۔ دَے گارُنس
مُتعلق ۔ ماۧدی نِشہ بدٕون ۔

رٗحانٛی یَتھ ۔ مؤل: رٗحانٛی یت <؟] ۔ رٗحَس یا دَے
گارُنس مُتعلق علم ۔ فلسفہٕ ۔

رُوح الامین ۔ <ع: روح الامین] ۔ جبرئیلہٕ سُند اکھ لَقب ۔

رُوح اللہ ۔ <ع: روح اللہ] ۔ حضرت عیسیؑ سُند لَقب ۔

رٗ د ۔ ن ۔ مؤل: رٗ د] ۔ ا ۔ نِکۍ نِکۍ آبہٕ پھیرۍ یم اَسمانہٕ
پیوان چھِ ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٴٹھۍ) ۔ یہ کینٛژھا
یُتھ پاٴٹھۍ ییٚتہٕ ۔ مِ: روپیہ رٗ د ۔

رٗدٕ بُیر ۔ اپھوکہٕ ڈٲنۍ ہوی یم رٗ د پینہٕ ہتۍ آبَس
کھسان چھِ ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ پاٴٹھۍ) اَنی ۔ عارضی ۔

رٗدٕ بُیراے ۔ کھٕتۍ ہتۍ وارِیاہ پھوکہٕ ڈٲنۍ ہی ۔ مِ:
رٗدٕ بُیرن لُج مژ گرٛ کھٕہِش ۔

رٗدٕ پلَو ۔ ذٕج یا بَرساتۍ ییتھِ یوسہٕ رٗدٕ نِشہٕ بچنہٕ باپتھ
کلَس ییتھ پٮ۪ٹھ تھوان چھِ ۔

رٗدٕ ترٛٹھ ۔ رٗ دیُس سَتۍ گگراے گژھنہٕ پتہٕ گنہٕ جایہٕ
ووکھ پاٴٹھۍ پیوان چھُ ۔ گگرایہٕ ہتۍ ڈٔستھ آمُت
رٗ دردٕ ۔ نار مُہُل ہیتھ وَسہٕ وُن زبردَس رٗ د ۔

رٗدٕ ٹاس ۔ کُہے پٔہَن رٗدٕ راٹھ یوسہٕ یُتھ پاٴٹھۍ دَہراٴژ
اَنٛدرٕ گنہٕ گنہٕ جایہٕ کمٕسے کالَس پیوان چھےٚ ۔

رٗدٕ جُری ۔ رٗدٕ راٹھ ۔

رٗدٕ چھکھ ۔ کُہے پٔہَن ۔ رٗ د ۔ کمہٕ سے کالَس
پیوُمُت رٗ د ۔

رٗدٕ ڈٔلنۍ ۔ پَرنالہٕ ہیوٗ یُس رٗدٕ باپتھ پٔشس
ڈٔندرِتَل لاگنہٕ یوان چھُ ۔

رٗدٕ راٹھ ۔ رٗدٕ رانٛٹھ ۔ یکہٕ وَٹہٕ پیوٗن وارِیاہ رٗ د
۔ رٗدٕ ژادَر ۔ جَربوجَربو رٗ د ۔

رٗدٕ رٕے ۔ ا ۔ اَکھ لوکُٹ جانا وار، یہ چھُ رٗ د پینہٕ
بزونہٕ سَتۍ پاٴٹھۍ شور لاگان ۔ ۲ ۔ (وَرگہٕ) وَدُون
شُر ۔ ۳ ۔ زَچہٕ ہُرس ییتھِ بَناوہٕ گُڈنۍ ۔ یوسہٕ
لٕٹھس گنڈنہٕ یوان چھےٚ تہٕ یَتھ رٗ د بَند گژھنہٕ
باپتھ پاٴزار دِوان چھِ ۔ ۴ ۔ رٗدٕ تصرُف ۔

رٗدٕ رٕٔے گنٛڈنۍ ۔ ا ۔ رٗ د بَند گژھنہٕ باپتھ
مؤرِیا لٕٹھس ییتھ زَچہٕ ہُرس بَناوہٕ گُڈنۍ گنٛڈنۍ تہٕ
تَتھ پاٴزار دِنۍ ۔ ۲ ۔ رٗدٕ رٗ دَے بَند کرنہٕ خاطر
یونہٕ کَس شُری سُند اَسمانس مَنٛدُل ہاوُن ۔

رٗدٕ رٗ د، رٗدٕ رٗ دَے ۔ پۆتُس پَتھ رٗ د ۔ وارِیاہَن
دوہَن رٗ د پیوان روزُن ۔

رٗدٕ ژادَر ۔ "وُچھو" "رٗدٕ راٹھ" ۔

رٗدٕ گٹھہٕ ۔ ا ۔ رٗ د پینہٕ کَنۍ گامژ اَنہٕ گٹہٕ ہِش ۔
۲ ۔ رٗدٕ راٹھ ۔ وارِیاہ رٗ د ۔

رٗدٕ لَو ۔ ا ۔ سبٹھا کم رٗ د کُہے پٔہَنز د ۔ رٗدٕ چھکھ ۔

رٗدٕ نور ۔ رٗدٕ وونۍ رَٹنہٕ باپتھ پٔشس ڈٔندرِتَل
لاگنہٕ آمُت پَرنالہٕ ۔

رٗدٕ وونۍ ۔ آب یُس رٗ د پینہٕ کَنۍ جمع گژھان چھُ ۔

رٗ د پئنۍ چھٔنہٕ رَب ووتھان ۔ تہٕ ڈٔیتھ گو پژتھ

کُنہِ بَناوتَس یالڑایہِ بیتِر چھُ سَبَب آسان۔ ہٹہِ ہٹہِ چھُنہِ بَدنأمی گژھان۔ یوٗ تام نہٕ کانٛہہ قوٗصوٗر آسہِ توٗ تام چھُنہِ کیٛنہہ بنتھ ہیوان۔

رٕودٕدَرُن۔ رٕودٕ پیوٚن بَند گژھُن۔ دور گرُن۔

رٕودٕ۲۔ مٲل: رٕودٕ >ف: رٕودٕ]۔ ڈَری یاو۔ م: رٕودِ نیل۔

رٕودِ نیل۔ مِصرُک اَکھ مَشہوٗر دَری یاو۔

رٕوڈ۔ م۔ مٲل: روڈ ]۔ کُنہِ پھُلی یِم سَڑک بیتِر بَناونہِ وِزِ زٕمینَس دَباونہِ ییوان چھِ۔

رٕوزی۔ ا۔ دوہ دِشُک غِذا۔ اوذقہٕ۔ ۲۔ کارِ بار بیتِر۔ رِزق۔

رٕوزی دیُن۔ ا۔ رِزق واتناوُن۔ ۲۔ کارِ بار دیُن۔

رٕوزی ژھینُن۔ ا۔ کامہِ کارِ نِشہ گژھُن۔ گُذارِ کڑی یہِ بَند گژھُنی۔ ۲۔ (وَرگہ)۔ آب دانہٕ موکلُن۔ مرُن۔

رٕوزی نہٕ۔ ا۔ سُہ کھین چَن یُس مُسأفر بیتِر سَفرس اَندَر سٟتی ٹُلان چھُ۔ ۲۔ سُہ رأتِب یُس کأرِ گر بیتِر گامَس اَندَر رسوٗ مبران چھُ۔ ۳۔ (وَرگہ پأٹھی)۔ گُذارِ۔

رٕوژ۔ م۔ مٲل: روژ >س: رُچ ]مأل۔ کُنہِ چیزٕچ پڑے۔ پَسَند۔

رٕوژ گژھنی۔ کُنہِ چیزٕچ پَڑے گژھنی۔ پَسَند یُن۔ کانٛہہ کھینہِ باوخوش یُن۔

رٕوس ا۔ ن۔ مٲل: رٕوس]مَنہٕ مَرِ ہندُر۔ ہَرنہٕ۔

رٕوسی گٹ۔ مَنہٕ مَر۔

رٕوسی مُسلہٕ۔ مِرگ چھالا۔ یہِ چھُ ہیٛندی پوٗزایہِ وِزِ آسنہِ بَدَل ترٛاوان۔

رٕوس۲۔ ن۔ مٲل: رٕوس >رٕوسی: رٕوسہِ۔ م: انگ: رس Russ]ا۔ اَکہِ مُلک ناو۔

رٕوسی۔ ا۔ رٕوسَس اَندَر روزَن وول۔ ۲۔ رٕوسُچ زَبان۔

رٕوگ۔ ن۔ مٲل رٕوگ >س: روگہ ]۔ دود بیمأری۔

رٕوگی۔ بیمار۔ بیرام۔ یُس کُنہِ تأنس دود آسہِ۔

رٕول ا۔ مٲل: رٕول >انگ: رٕول۔ Rule]ا۔ رِکھ۔ لٔکیر۔ خط۔

رٕولر۔ سُہ لوٗکٹ ڈُلوم ڈنڈ یٛمہِ سٟتی سیٛز رِکھ ییوان چھیٚ دِنہٕ۔

رٕولدار۔ (کاکذ بیتِر)۔ یتھ رِکھ دِتھ آسن۔

رٕول۲۔ قونوٗن۔ قأیدٕ۔

رٕوم۔ ن۔ مٲل: رٕوم >ع: روم ]۔ ا۔ یوٗرپس اَندَر اَکہِ سَلطَنَتُک ہُند پرٛون ناو۔ یتھ اَندَر ترُک تہٕ شأمِل اوس۔ ۲۔ اِٹلی ہُندا اَکھ مَشہوٗر شَہَر۔

رٕومی۔ رٕومُک روزَن وول۔

رٕومی ٹوٗپی۔ پھیٚوت اَلونٛد ترٛأوِتھ اَکہِ قِسمُچ وۄزِ ژٕ ٹوٗپی۔

رٕومان۔ ا۔ عِشقہِ رَنگینی۔ ۲۔ اَکھ اَدبی نٔج۔ یتھ اَندَر جذبأتی عِشقِکی سٔری تہٕ وۄگنی بادنہِ ییٚن۔

رٕون۔ ن۔ مٲل: رٕون/رِن >س: رانٔہ >پرٛاکرت: راجٔنہ]۔ گرووُل۔ خانہٕ دار۔ بَرتھا۔

رأنہٕ رأنہٕ۔ (گرُن)۔ رِنی ہِندِ موکھہٕ کرٛیشُن۔

رۄن گارُن۔ رٕنس پَتہٕ پَتہٕ پھیرُن۔ مِ: مأج گران کۄرِ کۄرِ تہٕ کۄرگران رأنہِ رأنہِ۔
رٕنٛی دَگ۔ (ووہو)۔ خانہٕ دار مَرنٕک دوکھ۔
روب۔ ن۔ مؤل: روب]۔ ا۔ لوگٹ دوب ہیٚوٗ یُس رَس بیتر رَٹنہِ باپَتھ بَتہٕ تٕرامہِ بَناونہٕ یوان چھُ۔ تَرٕل چیز رَٹنہٕ باپَتھ بٔنس یا اُٹس بیتر کرنہٕ آمُت دوب ہیٚوٗ۔ ۲۔ سَگہٕ باپَتھ کُلس بیترِ أندرِ أندرِ کرنہٕ آمُت دوب ہیٚوٗ۔
رۄٚبۄٚدٕ۔ مؤل: روبۄد <؟ف: رۄ+ک: بودٕ <س: بھوتہٕ]۔ بودلہٕ۔ رومُت ہیٚوٗ۔
رۄٚبۄٚدٕگی۔ بودلہٕ ہیٚوٗ گژھنٕچ حالتھ۔
روٹ۔ ن۔ مؤل: رٹ <س: رُددھ]۔ ا۔ رُکاوَٹھ۔ اَٹھکاو۔ بٔندِش۔ ٹھاکھ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) تھوتھ۔ مِ: نوشہِ کورِچھ زِٹھی سنٛد روٹ گژھان
روٹ کرُن۔ بٔندِش کرٕنۍ۔ رُکاوَٹھ اَنٛنۍ۔ ٹھاکھ کرُن۔
روٹ گژھُن۔ ا۔ رُکاوَٹھ سپدٕنۍ۔ اَٹھکاوُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) تھوتھ گژھُن۔
رودُر۔ ن۔ مؤل: رودر <س: رُدرَ]۔ (ل۔ م۔ قہار)۔ ا۔ بگوان شِوٕسنٛد اَکھ ناو۔ ۲۔ بگوان شِوس دٕستھ کاہ دِوتا۔
روس ا۔ روست۔ ن۔ مؤل: رست <س: رَہِہ] وراُے۔ بغأر۔
روس ۲۔ ن۔ مؤل: رس <س: رَس]۔ ا۔ یتھ زیادٕ رَس تٕراونہٕ آسہِ آمُت۔ ۲۔ سوسوٗل یا پاکوتھ مُٹھ بیترِ یُس چاروایَن دِوان چھِ۔
روسۄخ۔ ن۔ مؤل: روسۄخ <ع: رسوخ]۔ کأنٛسہِ تام پکُن پاے۔ بڑٕس افسرَس بیترِ ستی زان پٔچھان۔
روسۄم۔ یہِ کینٛژھا سَرکأرۍ اہلکارَن (یِژپأٹھی پٹھواُرِس بیترِ)۔ گنٛڈتی پأٹھی تارنہٕ ییہِ۔
روش۔ ن۔ مؤل: رَس <س: رَشنا]۔ ا۔ ہأرک بیترِ نألی تٕراوُنک پکو۔ دوو۔ ۲۔ زَچہِ ہُر۔ پکَو یتھ ریٚنچہٕ دٕزاہرٕ آسَن۔
روف۔ ن۔ مؤل: روف <ع: رَفُون]۔ پکَوس اَکہِ خاس طَریقہٕ داوٕ بُرِتھ ٹٕھ یا گۄد بیترِ بَند کرُن۔ پکَوس اَکہِ خاص طَریقہ دِنہٕ آمُت تٕروپ۔
روفیٛوٗ جی۔ مؤل: روفیٛوٗ جی <انگ: رفیو جی۔ Refugee]
ا۔ سُہ یُس سِیأسی یا مَذہٕبی دَباوٕ موکھٕ پنٛن وَطن تٕرأوِتھ وۄپرٕ مُلکَس اَندر پَناہ پیٚیہِ لَبُن۔ سُہ یُس چھپنہٕ آسہِ آمُت مُہاجر۔ ۲۔ سُہ یَس نہٕ پنٛن ٹھِکانہٕ آسہِ۔ یَس نہٕ گرٕ بار آسہِ۔ پناہ گزین۔
روگ۔ ا۔ کینہٕ۔ ۲۔ دولہٕ۔ ٹٔلی ٹٔلی۔
روگ روگ۔ روگہٕ روگہٕ۔ ہۄل ہۄل۔ دولہٕ دولہٕ۔
روگ روگ پکُن۔ ٹٔلی ٹٔلی ژلُن۔ لُمٕلُمی پکُن۔
روگ روگ وٕچھُن۔ ا۔ ہۄل وٕچھُن۔ دولہٕ وٕچھُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ) حَداوتہٕ سان کأنٛسہِ کُن وٕچھُن۔

روگ وِچھُن ۔کاٗنسہِ ہُنٛد کینہہ رَتُن ۔کاٗنسہِ ہُنٛد کیٖل آسُن ۔

رول ۔مول:رل <مُ:ہ:رَن ]۔ہَلکہٕ سَفید رَنگہٕ گٹہٕ مُلیُن (ییر بیترِ )۔

رومب ۔ن ۔مؤل:رمب <پرٛاکرت:رَمپ ]۔تاوِ أندرِ کرٛایہ پاکھ کَڈنک کرٛوژھ ۔گٔدی دار پوکھر گُرِتھ اَکھ زٕمی ہش ییٚمہِ ستیٚ کرٛایہ پاکھ بیترِ کَڈان چھِ ۔گاڑ کرٛوژھ ۔

رون ۔ن ۔مؤل:زن <س:رَنڈ ]۔اَتھو کھورَوروس ۔ نرِژوٹتہٕ زَنگہٕ ژوٗٹ ۔ژورونگ ۔مِ:اون رون ۔

روٗنٹ ۔مؤل:رنٹ <س:رَنڈ ]۔پھوٗنٛٹھ زٔمین ۔ اَکھ میٚژ ذاتھ ۔یہ چھَنہٕ زِراتَس رِکھ جان ۔

رودا ۔ن ۔مؤل:رود ]۔لوکٹ ڈلوم دوب ہیوٗ یُس کاٗنسہِ کاٗنسہِ بتھی لَبہِ گرٛہان چھُ ۔ رٔدی گرٛہنی ۔بتھی لبن لوٕکٹ لوٕکٹ ڈلاٗمی دوب ہی گرٛہنی (یژپاٗٹھی) اَسنہٕ وِزِ ۔

رو۲ ۔ن ۔مؤل:روو <ف:رَو]۔ناٗری تار ۔ناوٕنور ۔

روٕو ،روٕپھ ۔ن ۔مؤل:روو ]ا۔اکھ أکِس مُقابلہٕ ژٔری گنٛڈِتھ زنانَن ہُنٛد یکہٕ وَٹہٕ پَتھ بژوٗنہہ گرُن تہٕ اکہِ خاص انٛد ازٕ گیوٗن ۔۲۔چھکرِ ستیٚ اکہِ خاص طَرزُک گیوٗن ۔

روہ ۔ن ۔مؤل:روہ]۔وِچھِو ''روٗ'' ۔

روب ۔ن ۔مؤل:روب <ع:رعب]۔ا۔ہیم ۔ہاٗبتھ ۔ أہر ۔۲۔اَترِس بیترِ پٹھ گرنہٕ آمُت کھَیترِ ۔ ۳۔(وَرگہٕ )لحاظ ۔پاس ۔

روبَس تَل تھَوُن ۔کھوژناٗوِتھ تھَوُن ۔یَبَس تَل تھَوُن ۔کاٗنسہِ پَتُن أہر تھَوُن ۔

روبہٕ اَتُن ۔بتھِس پیٹھ وَتُن ۔تُریاٗٹھی وَتُن ۔وَتَس بَہرُن ۔

روبہٕ داب ۔ا۔روب ۔ہیم ۔ہاٗبتھ ۔۲۔دبدَبہٕ ۔شان ۔

روبہٕ یُن ۔پاس نہٕ وِچھُن ۔لحاظ نہٕ روزُن ۔بتھِ لگُن ۔مُقابلہٕ لگُن ۔بتھِس بژوٗنہہ گنہِ جَواب دیُن ۔بتھِس پیٹھ وَتُن ۔

روب بہُن ۔(کاٗنسہِ ہُنٛد )۔مُنزِ بہُن ۔ہیم روزُن ۔ ہاٗبتھ روزُن ۔ڈَرآسنہٕ رِکنی نہٕ بژوٗنہہ گُن گرٛہنَس بَہرُن ۔کاٗنسہِ کھوژُن ۔

روب دار ۔شان دار ۔وِقارٕ وول ۔

روب گرُن ۔ہیم ہاوُن ۔کھَیترِ گرُن ۔ژکھِ ہوٚت کیٚنہہ وَنُن ۔کھوژ ناوُن ۔

روب وو تھُن ۔ہیم نہٕ روزُن ۔کھوژُن نہٕ ۔بَہرِتھ ہکُن ۔جواب دِتھ ہکُن پاس یا لحاظ نہٕ روزُن ۔

روبرو ۔مؤل:روبرو <ف:رُوبرُو]۔دژھیٹھان ۔بتھِس بژوٗنہہ گنہِ ۔مُقابلہٕ ۔أچھَن تَل ۔

روپوش ۔مؤل:روپوش <ف:روپوش]۔یُس رَٹنہٕ ینہٕ کہِ ہیمہٕ ژھپتھ دِتھ آسہِ ۔

روتُل ۔م ۔مؤل:روتل <:راترِ + ویلا ]۔راتھ ۔اَنہِ گٹہٕ ہُنٛد وَق ۔

روتلہِ ۔راتھ کیُت ۔رأژ منز۔

روٹہٕ ۔رٕ زِتھ گومُت ۔تارِ گومُت ۔تھامہِ۔

روٹہٕ تأر ۔أہر تُھہر۔

روٹہٕ ژیوٗٹ ۔ا۔یتھ نہٕ وارِ پأٹھی یتہٕ پھیُر دِنہٕ آسہِ آمُت ۔۲۔کنزٕس منز اوڈٕے دَل دِینٕ ۔ اڑٕ دول۔

روٹہٕ ژیوٗٹ کرُن ۔اڑٕ دولے تھاوُن ۔وارِ نہٕ منُن ۔

روٹہٕ ژیوٗٹ گژھن ۔پوٗرٕ پأٹھی نہٕ پھُراونہٕ یُن (زمین) اڑٕ دول روزُن (اَناج بیتر) ۔اڑٕ پھٹ روزُن۔

روٹہٕ گژھُن ۔تارِ گژھُن ۔بژوٕنہِ پگنس نہٕ وار روزُن ۔رٕ زِتھ گژھُن ۔تھامہِ گژھُن ۔

روٹُن ۔بنٛد گژھُن ۔روٹہٕ گژھُن ۔گژھتھ نہٕ ہیکُن ۔

روٹھ ۔ا۔موٗٹ تہٕ موٗدٕر روغنی ژوٹ یوسہٕ بڈس دوہس پٹھ یا مُبارکہٕ پُژھی کرنا ونہٕ یِوان چھے ۔ ۲۔(وَرگہٕ) سُہ دوہ ییلہِ کینٛہہ بٹہٕ پژھہِ ژوچہِ بَناوان ۔چھِ ۔۳۔بِیب دَرِم ماجہِ ہُنٛد دوہ۔

روٹھ تھوٗن ۔ا۔روٹھ کرنک پژن کرُن ۔روٹھ نیاز تھوٗن ۔۲۔بِیب ۔دُرِم جاجہِ ہُنٛد دوہ مَناوُن ۔

روٹھ خَبَر ۔کورِ ہُنٛد وأرِ ٛو خبرِ ستی روٹھ سوزنک رٕسم۔

روٹھ کرُن ۔پژن بیترِ پوٗرٕ سَپدٕنس پٹھ روٹھ بناوُن تہٕ بأگرُن۔

روچھ ۔ن۔موٗل: راچھ <س: رَکشہ ]یُس رأچھ روزِ۔

رأچھدَر ۔نظر گنذرتھاوَن وول۔

رود ۔موٗل: راد] ۔زیوٗٹھ ۔مِ: زیوٗ رود۔زنگہٕ رود۔

روٗداد ۔ن۔موٗل: روداد <ف: رُوداد ]۔ا۔اَوحال۔ واقاتھ ۔بَیان ۔۲۔کاروأیی ۔

روڑٕ ۔ن۔موٗل: روڑ] ۔ا۔وِچھو ''رٕ ڈی ۔'' ۲۔(ہزلیہٕ) موٗنجہِ تہٕ دَم اولو ہیوٗسینٕ ۔

رورِعایتھ ۔<ف: رو+ ع: رعایۃ ] ۔ پاس ۔لحاظ ۔ پوٗکھ ۔طرفدأری۔

رورِعایتھ کرٕنی ۔پاس وِچھُن ۔لحاظ بوزُن ۔ پوٗکھ کرٕان ۔

روزا ۔<ف: روز] ۔دوہ۔

روزِ اَول ۔سُہ دوہ ییلہِ پأدأیشہٕ گوڈلوگ ۔

روزِ اَزلس آسُن ۔(وَرگہٕ) قِسمتس لیکھتھ آسُن ۔ زہنہٕ گرِ پٹھے آسُن ۔

روزِ بَد ۔سَخ کٔڈرتہٕ کرٕ ؤٹھ وَق ۔

روزِ بَد تُلُن ۔(کأنسہِ) مُصیبتھ اَنُن ۔

روزِ بَد ووتھُن ۔مُصیبتھ یُن ۔

روزِ جزا ۔حِسابک دوہ۔

روزِ حساب ۔سُہ دوہ ییلہِ اعمالن حِساب ہینہٕ ییہِ ۔ قیامتھ ۔

روزِ دیوان کھارُن ۔عدالتہٕ وانٛن لاگُن ۔ مصیبتس لاگُن ۔

روزِ دیوانٔس لاگُن ۔مصیبتس لاگُن ۔

روزِ روشن۔ا۔ بُرمَندِ یُن۔۲۔ نُی پأٹھی۔ ٹاکارٕ۔ ننہِ وانہٕ۔

روزِ عاشوٗرا۔ ذٕہیم مُحرم ییمہِ دوہہٕ حضرتِ امام حسینؑ شہید سپدی۔

روزِ قیامتھ۔ قیامتُک دوہ۔

روزِ محشر۔ سُہ دوہ ییلہِ سأری أکِس جایہِ سَمن۔ قیامتھ۔

روزِ۲۔ <س: رُج]۔ا۔ بمأری۔۲۔ ماند۔ کُنیُک مَرضہٕ

روزانہٕ۔ <ف: روزانہ]۔ دوہدِش پأٹھی۔

روزٕ۔م۔ مؤل: روز <ف: روزہ]۔ گاش پھولنہٕ بڑ وٗنہہ پیٹھٕ آفتاب لوٗسنَس تام کھیوٗن چوٗن تہٕ بأڑس نِش گژھُن۔ ترک کرُن۔ (یِژ پأٹھی ماہِ رَمضانَس)۔

روزٕ رتھاونہِ۔ روز دَر روزُن۔

روز دَر، روزدار۔ ییمی روزٕ تھوٚمُت آسَن۔ ییمی ماہِ صِیام دورمُت آسہِ۔

روزٕ دَرنہِ۔ا۔ روز دَر روزَن۔۲۔ (وَرگہٕ پأٹھی) کانٛہہ مُرادحأصِل کرنہٕ خأطرٕ نفس مارُن۔

روزُن۔ن۔ مؤلِ: روز <پرٛاکرت: رُج چھَ]۔ا۔ ٹھہراو کرُن۔ ٹھہرُن۔ قرار کرُن۔۲۔ دَرُن۔ خَراب نہٕ گژھُن۔۳۔ مَرُن نہٕ۔ زندگی آسٕنۍ۔ بچُن۔ ۴۔ بسُن۔ کُنہِ جایہِ سوٚکوٗنتھ کرٕنۍ۔۵۔ پوٗشُن۔ پگہٕ وُن آسُن۔ م: گذار روزُن۔

روٗزِتھ گژھُن۔ا۔ کانٛہہ تان بےٚ حِس گژھُن۔ فالِج گژھُن۔۲۔ ہےٚ بُنگ گژھُن۔ حأران گژھُن۔ بوٗزِتھ نہٕ کہنۍ وَنُن تگُن۔۳۔ وٕشتہٕ سٟتۍ کوٚٹھی بہتھ گژھٕنۍ۔۴۔ ڈولُن۔

روزٕوٕنۍ۔ کُنہِ جایہِ روزٕنۍ موٚزوٗری۔ رأچھ راوٕٹھ کرٕنۍ موٚزوٗری۔

روزٕوُن۔ پوشہِ وُن۔ دَرٕوُن۔ یتھ واریاہ کال نیرِ۔

روزگار۔ مؤل: روزگار <ف: روزگار]۔ روٗزی کماونُک ذٔریعہِ۔ کأم کار۔

روزنامہٕ۔ا۔ کھاتہٕ یَتھ پیٹھ دوہ دِشُک حِساب لیکھنہٕ یِیہِ۔۲۔ ڈایری۔

روزنامچہٕ۔ن۔ مؤل: روزنامچہ <ف: روزنامچہ]ا۔ بہی۔ کھاتہٕ۔۲۔ ڈایری۔ سُہ کھاتہٕ یَتھ مَنٛز دُہچ کار گُذاری دَرٕج آسہِ۔۳۔ پُلسہٕ مُحکمہٕ چہِ اکہِ رَجسٹری ہُند ناو یتھ اَندَر رکارَن ہٕنٛز ڈِوٹی ہأوِتھ آسان چھےٚ۔

روژُن۔ن۔ مؤل: روژ <س: رُچ]۔ (مِژتلہٕ) جان باسُن۔ پرٕیِن۔ باوُژن۔ پَسَند یُن (کھینہٕ باوبیترِ)۔

روِسیأہی (گژھٕنۍ)۔ مُہ کالہٕ گژھُن۔ کانٛہہ اَتُر بیترِ نوٚن نیرنہٕ سٟتۍ خَجالتھ گژھٕنۍ۔ رُسوأیی۔

روش ا۔ن۔ مؤل: روش <ف: روِش]۔ طور طَریقہ۔ ووتھ بیٹھ چلَن۔ رِواج۔

روش یُن۔ کانٛہہ چیز مُروَج گژھُن۔ فائشَن نیرُن۔ رِواج عام گژھُن۔

روش۲۔ن۔مؤل: روش <س: روشہ: رُش]۔ تِتھے ہیُو۔ غوصہٕ۔مَلالہٕ۔

روشَن ۔<ف: روشن]۔ا۔پرٛزلہٕ وُن۔زوتہٕ وُن۔گاہ ترٛاوُن ۔۲۔نۆن۔ٹاکارٕ۔صاف۔ظاہر۔

روشَن دان۔ووب۔لوکٹ دأرۍ یُس کٲشِ یوان آسہِ۔

روشن کرُن۔ا۔پرٛزلاوُن۔گاہ دِوناوُن۔پالش کرٕنۍ (ہِنٛچہِ کامہِ بیترِ)۲۔نۆن کڈُن۔ظاہر کرُن۔باوُن۔

روشَن گر۔یُس اوزارن بیترِ کھہرن دِوان آسہِ۔ یُس سونہٕ، روپہٕ تہٕ ہِنٛچہِ کامہِ بیترِ پالش کھاران آسہِ۔پیٖن دِنہٕ وول۔

روشہِ روشہِ۔<س: روشَہ]۔ا۔رٕوش رٕوش۔۲۔لۄت لۄت۔کانٛسہِ شک کرنہٕ روس۔بے شوٗنک پأٹھۍ۔یتھٕ پأٹھۍ یُتھ نہٕ کانٛہہ شینکہٕ۔۳۔زَن تہٕ لۆب رٕوزِتھ۔۴۔ڈالہِ دی دی۔وارٕ وارٕ۔ماشہِ مأرِتھ۔

روشہِ پأٹھۍ۔اَندی اَندی لۍلۍ۔اَندی پأٹھۍ یُتھ نہٕ کانٛہہ ژینہِ۔

روشُن۔مؤل: روش <س: روشَہ]۔مَلالہٕ گژھُن۔تِتھے ہیُوہ گژھُن (کانٛسہِ) ناراضگی سَبَبہٕ لۆب لۆب روزُن۔نگھ نہٕ یُن۔یتھ ژٕ کرِتھ ہیٚکُن۔الگ گژھُن ہیٚکُن۔

رٕوٹھمُت۔یُس تِتھے ہیُو آسہِ گومُت تہٕ لۆب آسہِ ہوان۔یُس غوصہٕ گومُت آسہِ۔

رٕوش رٕوش۔مَلالہٕ پأٹھۍ۔لۆب لۆب۔روگہٕ روگہٕ۔

رٕوشمُت۔وُچھو ''رٕوٹھمُت''۔

روشہِ ناوُن۔کیٚنٛہہ تیٚتھ کرُن ییٚمہِ سٟتۍ بیٚیِس تِتھے ہیُو گژھِ۔ناراض کرُن۔

روضہٕ۔<ع: روضۃ]۔مقبرٕ۔اَستان۔

روغَن۔ن۔مؤل: روغن <ف: روغن]۔ا۔اَکھ خاص تیل یُس چمکھ کھارنہٕ باپتھ رنٛگس سٟتۍ مِلناونہٕ یِوان چھُ۔وارنِش۔۲۔پالش یوسہٕ چمکھ کھارنہٕ باپتھ دالِس بیترِ کران چھِ۔گترِ وبن بانٛن بیترِ کوٚرمُت رنٛگ۔مِ: روغنی چیٖز۔ ۳۔(ہزلہِ پأٹھۍ)پوڈر یا کریم بیترِ یوسہٕ بُتھِس مَتھان چھِ۔بُتھِس کوٚرمُت میک اپ۔

روغن زرد۔گیوٗ۔

روغن گُل۔پوشہِ بیالیٖک تیل۔

روغَن جوش۔اَکھ سیٖن یُس ییٚژہ پأٹھۍ سالَس بیترِ پٔٹھ رنٛنہٕ یِوان چھُ۔

روغنی۔ا۔ییٚتھ روغَن کرِتھ آسہِ۔رنگدار۔مِ: روغنی پیالہٕ۔۲۔ژوٹ بیترِ ییٚتھ خمیرِ سٟتۍ گیوٗ یا چرٛب رلأوِتھ آسہِ۔

روک۔ن۔مؤل: روک <پرٛاکرت: رُکہ]۔روٹ۔رُکاوٹھ۔ٹھاکھ(کُنہِ کامہِ کارَس بیترِ) ٹھۄر۔

روک کرُن۔ٹھاکھ کرُن۔منع کرُن۔رُکاوٹھ

اَنٛزۍ۔ اَٹھکاوتژ اوُن۔

روک گرٛھُن۔ رُکاوَٹھ بنٛزۍ۔ تھوتھ گرٛھُن۔ کانٛسہِ ہُنٛد ٹھوٗر گرٛھُن۔

روگرٛدٕہۍ۔ م۔ مؤل: روکرٛدٕہۍ س: روگہٕ+ ورٛدھ ]۔ سو رَجسٹَر یَتھ منٛز نَقد پوٗنسن ہُنٛد حِساب دَرٕج کرنہٕ یِیہِ۔ سو رَجسٹَر یَتھ منٛز آمَدَنی ہُنٛد حساب لیکھتھ آسہِ۔

روگہِ روگہِ۔ اَنٛدۍ اَنٛدۍ۔ لَبہٕ لَبہٕ۔ ژٕۄرٕ ژٕۄرٕ۔ م۔ روگہِ گوم گمے۔

روگہِ وِچھُن۔ عاب ژارُن۔ ءکٕھ کَڈُن۔

روگُن۔ ن۔ مؤل: روگ ]۔ غاٰبتھ گرُن۔

رول۔ ن۔ مؤل: رول > انگ: رول Roll ] ا۔ طور طَریقہٕ۔ وٕطیرٕ۔ ۲۔ سو کاٰم یوسہٕ گنٛڈن گوٚر (ایکٹر) کُنہٕ ڈرٛامہس اَنٛدر کَرِ۔

رول گولڈ۔ ن۔ مؤل: رول گولڈ > انگ: رولڈ گولڈ Rolled gold ]۔ کانٛہہ چیز یَتھ سونہٕ سُنٛد گِلٹھ آسہِ۔ اَکہِ قِسمُک نقلی سون۔

رول نمبر۔ ن۔ مؤل: رول نمبر > انگ: رول نَمبَر Roll number]۔ اِنٛدراجہِ حِسابہٕ نَمبَر یُس سۆکوٗل لۆکس بیترِ امتحانَس یا جَماژ اَنٛدر رِدوان چھہٕ۔

رونق۔ م۔ مؤل: رونق > : رونق ]۔ ا۔ شۆب۔ ۲۔ ووسہٕ دژوسہٕ۔

روٗنٛڈ۔ ن۔ مؤل: روٗنٛڈ > انگ: راونٛڈ Round ] ا۔ راٰمچھس بیترِ سُنٛد گتھ۔ چکَر۔ گشت۔ ۲۔ بۆنٛدوٗقس بیترِ اکہِ لٹہِ بَرنہٕ آمٕژ گولہِ۔ تیٚژ گولہِ ییٚژ اکہِ لٹہِ بۆنٛدوٗقس بیترِ واتَن۔

روٗنٛڈ وول۔ راٰچھدَر۔ سُہ پُلسہٕ وول یُس راتھ کُیت شہرَس گشت کَرِ۔

روٗنٛڈ خاٰلی گرُن۔ بۆنٛدوٗقس بیترِ اَنٛدر بَرنہٕ آمٕژ گولہِ لاینہٕ۔

روٗنٛڈ دیُن۔ راٰمچھس بیترِ سُنٛد گشت دیُن۔ چکر دیُن۔

رونکھ ا۔ ن۔ مؤل: رونکھ > س: روہٕہ+ اَنٛگہٕ ]۔ بٔڈ نک سُہ حِصہٕ یتھ پیٹھ زَنگ تہٕ ہیٚر یم دَرٕ رلان چھہٕ۔

رونکھ ۲۔ کھرٛ نگ۔ گرٛزو۔ روب۔

رونکھ کَرُن۔ کھرٛ نگ ژھُنُن۔ گرٛزو کَرُن۔ روب کَرُن۔

روہن، روٗہن۔ (روٗنی)۔ م۔ مؤل: روہن > س: روٗنی ]۔ زۄنہٕ ہُنٛد اَکھ گرٕ یا بُرٕج۔

روے ا۔ وِچھو "روے"۔

روے سُمن۔ گتھ کَرنَس ہیرُن۔ مَنٛدچھُن۔ سنہٕ بُتھ سُمن

روے ۲۔ وِچھو "راے ۲"۔

روپہٕ زٔمین۔ بنہٕ راتھ۔

روٗبُج۔ لوکٹ رَبہٕ دوب۔

روپَے۔ م۔ مؤل: روپے > س: روپیہ ]۔ ہندوستان، پاکستان تہٕ لنکایہٕ ہُنٛد سِکہٕ۔

روپَے بَر۔ وَتہٕ روپیہٕ ہِنٛد وَزنہٕ۔ تولہٕ۔

روپُل۔ ہزلہٕ پاٰٹھۍ روپیہٕ وَنان۔

روپیہٕ۔ "روپَے" لفظُک جمع۔

روپہٕ گاڈ۔ اَکہِ قِسمٕچ گاڈ۔

روپہٕ لانٛگھ ۔ ڈَلس اَنٛدَ راکہِ لانٛکہٕ ہُنٛد ناو۔

روپھ ۔ن ۔مؤل: روپ > پراکرت: رُپیہ > س: روپیہ]۔ اَکھ سَفید موٗلۍ ذاتھ۔

روتہٕ ۔ (گرٛشُن)۔ ژومبُن پؤرٕ نہٕ یُن۔ ژومبی ہٮ۪تس (پَن بیترِ منٛزٕ نہٕ آسنہٕ کِنۍ) سَرٕ وبنٛد گرٛشُن۔

روتبہٕ ۔ن ۔مؤل: روتب > ع: رتبۃ]۔ دَرجہ۔ عوہدٕ۔

روتھ ۔ن ۔موٗل: روت > س: ورٕت]۔ ا۔ ورتھ۔ فاقہٕ (ہٕٹُن ہُنٛد)۔ ۲۔ دوریَرادٕ۔ عَہد۔

روخ ۔ن ۔مؤل: روخ > ف: رُخ] ا۔ بُتھ۔ ۲۔ طَرَف۔ پاس۔

روخ پھِرُن ۔ ا۔ بیٚیس طَرفَس کُن پھِرُن۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٹھی) بَیان بَدلاوُن۔ ۳۔ پھیرِتھ گرٛشُن۔

روخ ۲۔ روخہٕ ۔ن ۔مؤل: روخ > ف: رُخ]۔ بُتھی لَب۔ بُتھ۔

روخصَتھ ۔ن ۔مؤل: روخصَت > ع: رخصۃ]۔ ا۔ چھُٹی (نِمُو)۔ ۲۔ نیرنُک اِجازَتھ (نوشہٕ۔ کورِ بیترِ مالِیُن یا وُاریُو) گوٚژھنُک اِجازَتھ۔ ۳۔ کامہٕ کارٕ نِشہٕ جَواب۔

روخصَتس پیٹھ ۔ چھُٹی پیٹھ۔ ییٚمۍ چھُٹی باپَتھ دَرخاس تھوٚومُت آسہٕ۔

روخصَتھ دیُن ۔ نیرنُک اِجازَتھ دیُن۔

روخصَتھ کَرُن ۔ ا۔ رَوانہٕ کَرُن۔ گوٚژھنہٕ دیُن۔ ۲۔ موقوٗف کَرُن (نوکر بیترِ)۔ نوکری نِشہٕ جَواب کَرُن۔

روخصَتھ ہیوٚن ۔ نیرنُک اِجازَتھ ہیوٚن۔ چھُٹی ہیٚنۍ۔

رودٕ ا۔ن ۔مؤل: رود]۔ اَنٛدرَم۔ اَنٛدٕ وانٛٹھ۔

رودٕ وَسُن ۔ (وَرگہٕ پاٹھی)۔ سَخ تھکُن۔ لوسُن۔ م: پوٚٹھ وَسِنۍ۔

رودٕ ۲۔ن ۔موٗل: رود > ع: رِدا]۔ جَنٛدٕ شُکھُر۔ پَلوٚ۔ یَتھ رینٛچہٕ گاہمٕژ آسَن یَتھ لونٛچہ دٕرٕ اِہمٕژ آسَن۔

رودٕ وَسُن ۔ (پَلوٚس بیترِ) لونٛچہ نیرنہٕ۔

رودرسَنٛدیا ۔ (کَشیرِ منٛز) بگوان شِوسُنٛد اَکھ تیرتھ۔

رودرٕ منٛتھر ۔ن ۔ رودرٕ منٛتھر > س: رُوزَ+منٛتر] کھوژُن ژلراونہٕ باپَتھ اَکھ منٛتھر۔

روقہٕ ۔ رُقہٕ ۔ن ۔مؤل: روق > ع: رُقعۃ] چھِٹھ ۔ داوتھ نامہٕ۔

روقبہٕ ۔ن ۔مؤل: روقب]۔ ا۔ زمیٖنُک میٖژ۔ زمیٖنُک زیٚچھر تہٕ کھجر۔ ۲۔ زمیٖن یوسہٕ لاگنہٕ ییہِ۔ زمیٖنہٕ ہُنٛد کانٛہہ حِصہٕ یا ژَکُل حاطہٕ۔

روقبہٕ بَنٛدی ۔ روقبہٕ اَلگ اَلگ کڈُن۔ (بوٚند بَستہٕ مؤجوٗب)۔

روکن ۔ رُکُن ۔ کُنہِ مَجلِسہٕ ہُنٛد ممبَر۔ وِچھورُکن تہٕ۔

روگہٕ نَنٛدَن ۔ (رگھوٗنَنٛدَن)۔ (رگھو) سُنٛد اَولاد۔ یِم ژٕنٛدر۔

روگہٕ ناتھ ۔ رام ژنٛدرُن اَکھ ناو۔

روزنہٕ زونہٕ ۔ن ۔مؤل: روزنہٕ زون > س: رِنہٕ+جیوٚنہٕ] ا۔ ہیتھ تیتھ گُذارٕ۔ ۲۔ اوٚرٕ یورٕ ووژم ووٚزدگَرُن۔

روٗنۍ ۔م ۔مؤل: روٗنۍ > س: رَنہٕ]۔ ا۔ لوکٹ گَنٹی یوسہٕ رَزگرِتھ نالِس تراوان چھِ۔ یا گوڈس بیترِ گنٛڈان

چھہٕ۔ ۲۔ کینژن زیورن اَلاَنٛدی نکی پھٕلی۔

روٗنہٕ دامانہٕ۔ دامانہٕ یتھ چھونی گرِونی پھٕلی اَلاَنٛد آسان چھہٕ۔

روٗنہٕ کھوس۔ سہٕ کھوس یتھ ژٕ کس چھونی چھونی آسہٕ گژھان۔

روٗنہٕ کھرٛاو۔ چھونی چھونی گرِونی کھراو۔

روٗنہٕ گوڈ۔ ۱۔ روٗنہٕ پٔٹھہٕ یم نژنہٕ وِزِ گوڈَن گنڈان چھہٕ۔ ۲۔ گوڈ یتھ روٗنہٕ پٔٹھہٕ لاٚگتھ آسَن۔

روٗنہٕ مَنٛزٕل۔ ۱۔ منٛزٕل یتھ اُلراونہٕ وِزِ چھونی چھونی گژھان آسہٕ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٚٹھۍ) خانہٕ ماجر۔

روٗنہٕ مہر ینٛز۔ سوکوٗرِیس لوچی لٔگن اوس گرنہٕ یِوان اَماگٹھ اَسس نہٕ دِوان۔

روٗنہٕ وَزنہٕ۔ (وَرگہٕ) موٗدُر ہوٗٹ آسُن۔

روٗنگ۔ ن۔ موٗل: روٗنگ < س: لَونٛگہ ]۔ ۱۔ اَکھ گرٕم مَصالہٕ۔ ۲۔ نستہٕ لاگنٕک اَکھ وَس

روٗنگہٕ ژٕنٛزِ۔ (ہزلہٕ) سوٗژنی یوسہٕ سیٹھا شوخ آسہٕ۔ یوسہٕ ژھرٕ ژھرٕ گران پکان آسہٕ۔

روٗنگہٕ ژٕنٛزِ کھسٕنۍ۔ (وَرگہٕ) کمام کھٔسُن۔ بوش کھٔسُن۔

روٗنگہٕ ژٕنٛزِ گژھنۍ۔ (وَرگہٕ) بوش کھٔسُن۔ رِواج کھٔسُن۔ عٔیب گژھنۍ۔

روٗہَن، رُہُن۔ ن۔ موٗل روٗہَن < س: لَشُنہٕ ]۔ اَکھ زٔمینہِ دٔز زٕگجِہٕ دار سَبزی۔ یہ چھےٚ گرٕم مصالَس سٕتۍ سٕنٛس تراونہٕ یِوان۔

روٗہنہٕ دٔل۔ (وَرگہٕ) سیٹھاہ گرٕم تہٕ ژاوٗیل گیُر۔

روٗہنہٕ موٗنٛڈ ۱۔ ژھیٹھ روٗہنَس بناونہٕ آمُت دور ہیٚو یُس سٕنٛس تراوان چھہٕ۔

روٗہنہٕ موٗنٛڈ ۲۔ روٗہنہٕ گُجہٕ ہُنٛد بوٗنیُم حصہٕ یتھ پھٕلی چھہٕ آسان۔

روٗہنہٕ۔ ن۔ موٗل: روٗہَن < ف: رَوانہ]۔ پرٛمُتھ۔ پروانےٚ رٕہداری۔

روے۔ ن۔ موٗل: روے < ف: روے ]۔ ۱۔ بُتھ۔ ۲۔ مکانٕک بُرٛنٛہیُم طرف یَپاٚرۍ اَژان نیران چھہٕ۔ ۳۔ کیُرٕک ہُتھینٛک طرف۔

رِحلتھ۔ م۔ موٗل: رِحلت < ع: رحلۃ]۔ مَرُن۔ ییمہٕ دُنِیاہہٕ گژھُن۔

ریزوٗلیوٗشَن۔ < انگ: ریزوٗلیوٗ Resolution]۔ قرار دار۔ تجویز۔

ریکہٕ ریکہٕ۔ باٚلی باٚلی۔ بُٹھۍ بُٹھۍ (کولہٕ بیترِ)

ریکہٕ تھوٗن۔ ناو بیترِ بٔٹھس دٔز رِپھَن لاگنۍ۔

ریہہ گنٛڈنی۔ ۱۔ نار لٔگن۔ جَم جَم لٔگن ۲۔ (وَرگہٕ پاٚٹھۍ)۔

اَزروٗنہٕ سٕتۍ اَنٛدری دزُن۔ اَزرُوٗن یُن۔

رینے۔ وُچھو "رَینے"۔

ریہہ بدُل۔ پرٕلی لکرِ ہُنٛد اَکھ قسم ییہ چھہٕ سیٹھاہ سَخ آسان۔

ریٹ۔ م۔ موٗل: ریٹ < انگ: ریٹ Rate]۔ دَر۔ باو۔ نِرخ۔

ریٹ لِسٹ۔ نِرخ نامہٕ۔ باوٕک فِہرِس۔

ریختہٕ۔ ن۔ موٗل: ریخت < ف: ریختہ]۔ ۱۔ یتھ چوٗنہٕ سُرخی

لَداوس آسہٕ۔۲۔پوٚختہٕ۔پائدار۔ٹوکہٕ۔سنگین۔

ریڈ۔ن۔مؤل:ریڈ<انگ:ریڈ Raid]۔حَملہٕ۔دُشمنہٕ ہٕنٛدِ فوجکِ پیٹھ وو تلتھ یُن۔

ریڈٕ۔ن۔مؤل:ریڈ]۔مال ہیترِ سارنٛج اتھ گاڑی۔بم لاگِتھ دُپیکل ڈالہٕ دار سوآری۔ یتھ کبتھ گنہٕ، روڈی یاباقٕے مال ہیترِ ساران چھہِ۔

ریڈیم۔ن۔مؤل:ریڈیم<انگ:ریڈیم Radium] اَکھ نائٹہٕ وِنی موٚلُچ داتھ یُس چھہِ زِژ ایکسرے مِشینہٕ ہیتر لگان چھےٚ۔

ریڈیو۔ن۔مؤل:رِیڈیو<انگ:ریڈیو۔Radio]۔
ا۔بجلی پیٹھ پکن وول سہٕ خاص مِشینی نِظام یُس ستی ہوٚچھلُہر وُدری یہٕ آواز تراونہٕ یِوان چھےٚ۔
۲۔وُچھو"ریڈیو سیٹ۔"

ریڈیو سٹیشن۔سو جاے یتہٕ مِشینوٚ ذرِکہٕ آواز ہوٚچن لُہرن اَنٛدر تراونہٕ یِوان چھےٚ۔سو جاے یتہٕ پیٹھ ریڈیوہَس اَنٛدر رٕسینہٕ والِکی تہٕ لوٗکن بوزناوان چھُہ۔

ریڈیو سیٹ۔سُہ اکہٕ یُس ریڈیو سٹیشنہٕ پیٹھ ہوچن لُہرَن اَنٛدر تراونہٕ آمٕژ آواز رٹان تہٕ لوٗکن بوزناوان چھُہ۔

ریڈیو گرام۔سہٕ ریڈیو یتھ رِکاڈ باجہٕ تہٕ ستی آسہٕ۔

ریڈیئٹر۔ن۔مؤل:ریڈیئٹر/رِگریٹر<انگ : ریڈیئٹر Radiater]۔گاڑِ موٹرِ ہیترِیگ سہٕ آلہٕ یُس اِنجن ٹھنڈ کران چھُہ۔

ریزٕر۔ن۔مؤل:ریزٕر<انگ:ریزٕر Razor]۔بلیڈ یُس یہٕ ستی شیو کران چھہِ۔

ریزٕ۔ن۔مؤل:ریز<ف:ریزہ]۔نکی دلنہٕ۔چوٗرٕ۔نیٚگ سیُر۔
ریزٕ ریزٕ گرُن۔پھِٹی کرٕنی۔چُرمہٕ گرُن۔نِکہٕ نور گرُن۔

ریز گاری۔<ہ:ریز گاری<ف:ریز گی]پھُٹہٕ ووٹ۔نِک چرٕن۔

ریس۔م۔مؤل:ریس<انگ:ریس:Race]۔ا۔مان مان۔۲۔دَو مان مان۔

ریشا۔ن۔مؤل:ریش<ف:ریش]۔ا۔بُتھِچ دأر۔
۲۔سہٕ ہیوٗ یُس مَکایہِ وَچھہِ پیٹھ آسان چھُہ۔مَکایہِ وَچھہِ ہُنٛد سیٚہر۔

ریشٕل۔یُس بتھِس ریش آسہٕ۔داریل۔
ریش دراز۔یُس زیوٗٹھ ریش آسہٕ۔

ریش۲۔ن۔مؤل:ریش<ف:ریش۔س:ریشہ]زخم۔چھوکھ۔خراش۔

ریگستان۔ن۔مؤل:ریگستان <ف:ریگستان ]۔
ا۔زیوٗٹھ سیکہٕ مأدان۔یتھ جایہِ ژ دوأ پأرکی سکھہِ سکھ آسہٕ۔سیکہٕ صحراو۔۲۔سو جاے یتہٕ نہٕ کُل کوٚٹ تہٕ نظرِ گژھ۔بنجر۔صحراو۔

ریگ مال۔م۔مؤل:ریگ مال<ف:ریگ مالی]۔شیشہٕ چوٗرٕ لاگِتھ کاکذ یا دٕج یُس یہٕ ستی پھش دِتھ شُشترس ہیترِ کھےٚ یا پھُہریکا سان چھِہ۔

ریل۔م۔مؤل:ریل<انگ:ریل:Rail]۔وارِیاہ

ڈَبہٕ لاگِتھ گاڑی یوسہٕ خاص قسمہٕ چَن شیٖشتر
کانٛجن پیٹھ چلان چھےٚ۔

رپمبھ، رپنٛبھ۔م۔مؤل: رپمبھ]۔پیؤنٹ۔سبٹھا لوکٹ۔
یُس نہٕ مُجرٕ ہَس ییہِ۔م: گُری رپمبھ، ژوٗٹھ رپمبھ۔

ریشٕھ۔ن۔مؤل: ریشٹ <س: رِشٹکہ]۔ا۔اِکہٕ کھُرٕ ہُنٛد ریٖوٗژ
ہیٖمو یُس صابنہٕ بدٕل پلو چھلنس تہٕ پوٗٹ منڈنس
لگان چھُ۔۲۔سہٕ تو رددرد یا گُریُس سم قدرتہٕ پکنس
کیُت جان آسہِ۔۳۔(ورگہٕ پاُٹھی)۔ژھوٗٹینگہٕ۔

ریشٕھ پھوٗل۔(ورگہ) لوکٹ تہٕ کھوڈ پھیچل۔

ریٹُن۔ن۔مؤل: ریٹنن]۔ا۔پلو شُکھر۔۲۔(ورگہٕ
پاُٹھی) ژھوٹینگہٕ۔

رینٛج۔<انگ: رینٛج: Range]۔جنگلاتہٕ کہ محکمہٕ طرفہٕ
مشخص کرنہٕ آمت اکھ اِنتظٲمی علاقہٕ۔

رینٛج افسر۔رینٛجر۔

رینٛجر۔ن۔مؤل: رینٛجر <انگ: رینٛجر Ranger]۔
جنگلات محکمُک اکھ مُلازِم۔

رینٛچ۔ن۔مؤل: رینٛچ <انگ: رینچ۔Wrench]۔کھارِ
سُند اکھ سامانہٕ ییمہٕ ستی ڈیٖبر ہیتر چاران چھُ۔

رینٛچہٕ۔ن۔مؤل: رینٛچ]۔پلوٗن ہیتر گامژ ترٕ ترٕ پچہ۔گگر پیشاب۔
رینٛچہٕ گرٛھنہٕ۔ترٕ پچہ وسنہٕ۔

رینٛز نچھو۔ا۔غلیل بازٕ شُر۔۲۔(ورگہٕ پاُٹھی)۔یُس
زنانن اِشارٕ بازی کران آسہِ۔

ریوتھ۔م۔مؤل: ریوت <س: ریوتی]۔زوٗنہِ ہُنٛد
ستوٗ ہیٖم گرٕ۔اکھ نچھتر۔

ریوٗنٛد۔م۔مؤل: ریونٛد <ف: ریونٛد]۔اکھ بوٗٹی۔

ریوٗنٛدِ چیٖنی۔اکھ بوٗٹی ییمیک مؤل جولابس لگان
چھُ۔اَمکِ ؤتھرتہٕ چھِ واریاہن بیمارِین دوا۔

ربَن، ربٕنی۔م۔مؤل: ربن]۔دوزِج کیٛسر گرِتھا کھداں ذاتھ۔

رپیٹ۔اُکس جاناوارٕ سُند ناو۔

رتہٕ کول، رتہٕ کال۔ن۔مؤل: رتہٕ کال <س: رِتہ
کالہ]۔ا۔زنانہٕ رنگ (یُس رتہٕ پتہٕ رتہٕ
سپدان چھُ)۔۲۔گرٛیشمک وق۔

رتہٕ کالہٕ۔<س: رِتہ کالہ)۔رتہٕ کالس منٛز۔
گرٛیشمہٕ کس وقتس اَندر۔

رتھ۔ن۔مؤل: رت]۔ترٛہ دوہ۔ؤری یک ہُیم حصہٕ۔

رتہٕ پژہ تہٕ بتہٕ کامَن۔(ہزلہ یا دوہ ہوٕ پژھی) تیزٕ گم
آمدٲنی ییتھ نہٕ کینہہ وتھ ییہِ۔

رتوار۔ریتی ریتی۔رتہٕ پتھ رتہٕ۔

رتھ گوتہٕ کھتھ گو۔تہٕ ڈپتھ گو سبٹھا ییٹھ لاگنہٕ ستی
چھےٚ مطلب نیرٕچ یا سبدٕتھ گونژ شیٹھ سوران۔

ربد۔ن۔مؤل: ربد <س: ہرٕد]۔وانٛجہ۔دِل۔جگر۔

ربدٕ دود۔وانٛجہِ دود۔کانٛسہٕ ٹاُٹھس ہیتر سُند ژُک یادگ۔

ربژھ۔م۔مؤل: ربژھ <س: رِچا]۔ا۔ریٚوا۔ویدن
ہُنٛد پد یا منٛتھر۔۲۔کُنہٕ کارٕ ہیتر کُنی کانٛسہِ وزامت
ناو۔کانٛسہ کوٚ ڈمت سہ ناو ییمہٕ کُنہ سہ دنہٕ آسہِ
یوان۔اصل ناوِ ورائے سہ ناو یُس کانٛسہِ لوٚگو

پھوٗدِتُلنہٕ موکھ کوٚڈُمت آسہٕ۔

ریٚشہ تُلُن ۔ٹاوس ٹلُن ۔پھوٗدِٹلُن۔

ریٚشہ کڈٕنی۔ پھوٗدِٹلُن۔ناوکڈُن۔

ریفرِجریٹر ۔ن۔مؤل:ریفرجریٹر <انگ:ریفرجریٹر Refrigerator]۔اَلمارِ چالہِ سَرد خانہٕ یتھ اَنٛدر رکھنہٕ چیز بیترِ تھوٚنہٕ یِوان چھ۔یتھنہٕ بِگرِن۔فرِج۔

ریکہٕ اُڈِج۔ترٚکہٕ اُڈی جہٕ ہُند بوٗنیُم حصہٕ۔

ریکھ ا۔م۔مؤل:ریکھ <س:ریکھ]۔جاناوارس یا کوکرِس بیترِ سُنٛد مَل۔

ریکہِ تھوٗن۔پھرُن تھوٗن۔

ریکہِ ریکہٕ (ہزلہٕ) پیٹھنہٕ پیٹھنہٕ ۔رَژھ رَژھ (کانٛہہ چیز دِین)۔یا کانٛسہِ واتناوُن۔

ریکہٕ ترٛاونہٕ۔بارِتھ ٹھک ترٛاونی۔ژٕلُن۔

ریکہٕ نور۔(کوکرِس بیترِ) گُہ نور۔پوٹھ۔

ریکھ رَٹٕنی ۔(ہزلہٕ)تَس مُتلِق وَنان یُسنٛد کانٛسہِ ڈکھ کرُن بےوَجہ باسہٕ۔

ریکھ لارتھوٗنی۔ داغ تھوٗن۔لانٛچ اُنتھ تھوٗن۔

ریکھ موٕٹنی ۔صورَتھ ہش گوٚژھنی۔

ریکھ وُٹھنی۔ا۔(وَرگہٕ) جِگرٕ دَرُن۔ہِمتھ ہش پادٕ گوٚژھنی۔ہیٚرُن۔۲۔(وَرگہٕ) نٔکھس کھسُن۔

زِرَولدُن۔دَرُن۔

ریکھ۲۔ پیشگی رَقم دِنک اَکھ طریقہٕ یمہِ ستی موٗزوٗر غولامہٕ ہٕنٛدی پاٹھی پابنٛد کرنہٕ یِوان اوس۔

رِبل۔م۔مؤل:رِبل]۔زیٛٹھ تلِم۔ترٕ۔پٔٹہٕ ژھوٚٹ تہٕ راوِ زیٛٹھ چھل< گیرِ چ یا کاکذ چ بیترِ) ژٕمینہٕ راد۔

رِمہٕ۔م۔مؤل:رمہ]۔کانٛسہِ ہٕنٛدِ وارِ وَتہٕ روزنٕچ فِکرِ۔

رِہن۔ن۔مؤل:رہن<س:رہنہ]۔(وَرگہٕ) قرضہٕ۔ دارُت۔یہٕ کانٛسہِ ہوٗرُن واتہٕ۔(کانٛسہ ہٕنٛدی بارٕ (یژپاٹھی جمٔیسہٕ منٛز یِوان)۔

رِہن نٔکھہ وانٛنی۔دارُت ہوٗرُن۔بارٕ موکلاوٕنی، رِہن وَسٕنی۔بارٕ نٔکھہ وَسٕنی۔

رِواج۔ن۔مؤل:رِواج<ع:رِواج]۔ ا۔روش۔ رَسم۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) کمام۔بوٗش۔مخرجہٕ۔

رِوایتھ۔م۔مؤل:روایت<س:روایۃ]۔ ا۔فتوا۔ شَرعی یتٕک فأصلہٕ۔۲۔کُنٛیک ذِکر بَیان۔

رِوایتھ اَنٕنی۔مُفتی یَس بیترِ نِش فتوا اَنُن۔

رِوایتھ دِنی۔کُنہ بُنیایَس بیترِ پیٹھ شَریتٕک فتوا دِین۔

رِوایتھ کرٕنی۔ذِکر کرٕنی۔کانٛسہِ ہُنٛد دوپ بیٚپس تام واتناوُن۔بیان دِین۔

رِوُن۔پھولُن۔بوشس منٛز آسُن۔

ربے ا۔م۔مؤل:ربے]۔ ا۔اَکھ نِچ کیٖمی ذاتھ۔ ۲۔ژھنی۔تیلُن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) سیتھ۔ ژھرٕ تہٕ ژھرٕ ٹھ۔

ریٚیہ اول۔ژٕمینہٕ اَنٛدرٕ تمہ ہرٕ ویم ریٚیہ روزنہٕ باپتھ کوٗرِتھ بناوان چھےٚ۔

رٮ۪یہِ پٕکُن ۔۱۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سوٚت سوٚت پٕکُن ۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) کشالہٕ سان گُذارٕ کرُن ۔
۳۔(ورگہٕ) موموٗلی اثر۔
رٮ۪یہِ پأٹھٕنۍ ۔۱۔ سوٚ وَتھ یَپأرۍ رٮ۪یہِ پکان چھےٚ ۔
۲۔ رٮ۪ین ہُنٛد جوٚلوٗسہٕ۔
رٮ۪یہِ ٹھوٗل۔(ورگہٕ پأٹھۍ) سبٹھاہ لوکُٹ ۔
رٮ۪یہِ گلہٕ۔(ورگہٕ پأٹھۍ) سبٹھاہ نیک تہٕ لوکُٹ شُر بیترِ۔
رٮ۪یہِ میٚژ۔ سوزأوِج میٚژ یوسہٕ رٮ۪یہِ اول کوٗران
کوٗران نیٖرِ کڈان چھےٚ ۔
ربے کرٕنۍ ۔۱۔ چھنۍ وہٕٹھنۍ ۔تیلَن ۔۲۔ بےٚ قرأری
گژھنۍ ۔سوکھ نہٕ یُن ۔قرار نہٕ لگُن ۔
ربے لگٕنۍ ۔(وَرگہٕ) سوکھ سان نہٕ بِہتھ ہیکُن ۔
قرار نہٕ یُن ۔
ربے وہٕٹھنۍ ۔۱۔ سَخ گَشُن یُن ۔زَخمس بیترِ پھٕٹُن
یا تیلَن ہیوٚن ۔۲۔ نِکۍ نِکۍ کیمۍ اناجس بیترِ لگٕنۍ ۔
۳۔ ژٕرِنۍ وہٕٹھنۍ ۔ژٕرِنۍ ۔
ربے۲۔نیک دانہٕ۔
ریوٗنٹ ۔ن۔موٗل: ریشٹ]۔ پوٗنۍ پتھ تہٕ نہٕ دَتہٕ ہُنٛد
سبُن ۔ کھہس آب لُدتھ تہٕ نہٕ آب سرٕن ۔
آبس منٛز تہٕ دَتہٕ سکرے روزنہٕ۔
ریوٗنٹ گژھُن ۔أبی زمینس منٛز دَتہٕ آبس منٛز تہٕ نہٕ سبنہٕ۔
ریوٗژ۔ باشٹہٕ۔ اکہِ قِسمُک گولہٕ ہیُو یُس نِشانہٕ مارنس
لگان چھُہ۔

ریوٗنگ ۔اکہِ قسمچ ٹھر۔ یتھ ٹھر ہیٖر نہٕ بڑٕ ڈھہ پوٗش چھِ پھولان۔
ریوٗڈ۔ لوکٕٹِس شُرۍ سُنٛد گُنہِ جایہِ قرار نہٕ بِہُن ۔
ریوٗش ۔ن۔موٗل: ریٚش < س: رِشہٕ]۔۱۔ سُہ یُس آگاہ
موگُل آسہِ۔ سُہ یُس پوٚز زبوزنہٕ ییہِ۔۲۔ یُس نہٕ
فِقہ پاپھ آسہِ۔ سیٚود ساد۔ بےٚ گوناہ۔
پرہیزگار۔۳۔ ریٚشن ہُنٛد پأرو۔ کٔشیرِ ہنٛدِ اکہِ
روٗحأنی سِلسِلُک پأروکار۔۴۔ زِزارُک زأنہٕ
شاہ صأبٕن بیترِ مجأوِر۔
ریٚش باپار۔ شوزرٕ بزر۔ ریٚشی سُنٛد ہیُو طرٕ یقہٕ۔
ریٚش بالُک ۔(وَرگہٕ) رُت تہٕ نیک لڑکہٕ۔
لڑکہٕ یُس جان سو باو آسہِ۔
ریٚش بارے ۔۱۔ ریٚش ہنٛز زنانہٕ ۲۔ (وَرگہٕ)
سبٹھاہ رِتہٕ سو باوٕچ زنانہٕ۔
ریٚش پیر ۔کٔشیرِ ہنٛد اکھ مشہوٗر بزرگ یمہِ ہنٛدِس
ناوَس پتھ عألی کدلس نکھہ اکس تھاپنایہِ
ریٚش پیر سُنٛد وَنان چھِ۔
ریٚش پوٗشہٕ۔ سفید تہٕ کرٕ ہنہٕ پشمینک ووٗنمت ڈُسہٕ۔
ریٚش کوٗر۔۲۔(وَرگہٕ) سیٚز ساد کوٗر۔ رِژ تہٕ نیک کوٗر۔
ریٚش موٚر ۔(وَرگہٕ) سُہ جسم یتھ فاقہٕ ستۍ کرٕ ژٕرے
یوت موشٕ بوٚمُت آسہِ ۔ہزٕ یأرۍ ہنٛز کاے۔
ریٚش موٗل۔ اکھ مشہوٗر ریٚش ہنٛز زیارتھ اننت ناگہٕ چھےٚ۔
ریوٗگ ۔[ن۔موٗل: ریوٗگ]۔ اکہِ قسمُک پوٗش یُس
وِڈرَن پھولان چھُہ۔

ژ

اُردوٗ ہٕک پنداٚہیم تہٕ کاشریُک کُنوٚہیم اَچھر۔ اَمہٕ اَچھرٕ ستۍ چھنہٕ کاشرِس اَندر کانٛہہ تہِ لفظ شُروٗ سپدان

ز

ز- عربی ہُک کُہیم، فارسی ہُک ترٛواُہیم تہٕ کاشریُک وُہیم اَچھر، ابجد حسابہٕ چھُ اَمیُک مول ستھ (۷)

زَب:- (ن۔مؤل: زَب) گاسُک اَکھ قسم۔ یُس یُتھ پاٹھۍ نمبلن ہیٚر کھسان چھُ۔

زَبہٕ کَٹ:- اَکھ ژُنگ جانوار یُس زَبہٕ ہس منٛز آسان چھُ۔

زَبہٕ گاسہٕ:- پیٚتھ ہیوٗ بے مٔز گاسہٕ۔ سُہ گاسہٕ یتھ نہٕ طاقتھ آسہٕ۔

زَبہٕ ووٗنی:- نمبلہٕ منٛز سمیوٗمُت ژٕ وکہٕ ووٗنۍ۔ سُہ پۄنۍ یُس نمبلہٕ یا زَبہٕ دارٕ ژٕمپس منٛز آسان چھُ۔

زَبَر:- (مؤل۔ زبر (ف: زَبَر) ۔۱۔ جان۔ رُت، ٹھیکھ۔۲۔مٔزدار۔ میوٗٹھ۔۳۔سولو کِٹ پٕرکھٕ ہش یوسہٕ اَکھ خاص آواز نیرنہٕ باپتھ گُنہِ اَچھرس پیٚٹھ گُنہٕ تراوان چھِ۔ اَکھ حرکتھ۔

زَبَر زیر فرٕق:- کَم زیادٕ فرٕق۔ موموٗلی فرٕق۔

زَبَر گوٚژھُن:- ۱۔ٹھیکھ گوٚژھُن۔۲۔مٔزدار گوٚژھُن۔ ۳۔کانٛسہٕ تہٕ گوٚژھُن یہِ تِس پزٕ ہے۔

زَبَر دَس:- زَبَردست۔ مؤل: زَبَردَس ف: زَبَردست]
۱۔زورٕ وول طاقتہٕ وول، بہوٗدُر۔۲۔پیٚٹھ پیٚنہٕ وول، زور جبر کَرَن وول۔۳۔حدٕ کھوتہٕ زیادٕ پَزٕ پیٚٹھۍ سَخ م:- راتھ پیوٚ زَبَردَس روٗد۔

زَبَردٔستی:- زورٕ جبر، غنڈٕ گی، پیٚٹھوٗلی۔

زَبان:- [ما۔مؤل: زَبان ف: زَبان] ۔۱۔ زیوٚ یمہٕ ستۍ مزٕ وچھان چھِ یا کتھٕ کران چھِ۔۲۔ بوٗلۍ۔ ۳۔کتھ، لفظ وَرگہٕ پاٹھۍ] وادٕ۔۴۔قلمہٕ پیٚتُک کھَس۔۵ گُنہِ زیورَس بیترِ زیورس واٚلس منٛز بند کرنُک گُنڈٕ یا تار۔

زبان تھاوٕنی:- (ییازٕ بیترِ خاطرٕ) ییتھ کرٕنی یا لفظ کرُن۔

زَبان دَراز:- (ف: زبان دراز) ۔زیوٚ زیوٗٹھ۔ گُستاخ۔ بدتمیزی سان کتھ کرن وول۔

زَبان دراٚزی:- گُستاٚخی۔ تیُتھ کینٛہہ وَنُن یہِ نہٕ وَنُن پزِ۔ بدتمیزی۔

زَباندان:- (ف: زباندان) ۔ل۔م: یُس زبان زانان آسہٕ۔ زبانٕہ ہُند زانٛنۍ کار۔

زبانداٚنی:- زبانٕہ ہنز زانٛنۍ کاری۔ زبانٕہ ہُند عِلم۔

زَبان دِنۍ:- وادٕ کرُن۔

زَبان دِنۍ:- کینٛہہ تیُتھ دِنتھ گوٚژھُن یمہٕ ستۍ پابند گوٚژھی زِ۔

زَبان کرٕنی:- وادٕ دیُن۔ لفظ کرُن۔ سودا طے کرُن۔

زَبان ترٛژ:- یُسنٛد نہٕ توقع آسہٕ تِسنٛدۍ بڑتھ تہٕ بوٗلتھ

وَنُن۔ تیز کلامی کرٕنی۔

زبأنی :-١۔ زیوٗ ستی۔ کتھو ستی۔ ٢۔ تیُتھ زٕٹھس آسُن یُتھ پھُر پھُر کُرتھ پھِرتھ ہیکہٕ زِ۔ ٣۔ (ورگہٕ پأٹھی) پیٹھی پیٹھی، سرسری۔ کتھوٕ ستی۔

زبأنی وَنُن :- لیکھتھ دِنہٕ بجایہٕ زیوٗ ستی وَنُن۔

زبأنی یاد کرُن :- زٕٹھس کرُن۔

زبأنیٖ :-١۔ زیوٗ ستی، یہ نہٕ لیکھتھ آسہٕ۔ یتھ نہٕ تحریر آسہٕ۔ ٢۔ کأنسہٕ ہندِ وَننہٕ کِنی۔ م: تُہنزی زبأنیٖ۔

زبأنیٖ گنڈ :- کہہ ستی ہنہٕ آمت شپیٗک دوٗیم گنڈ۔

زَپُن :-(ن۔ مؤل: زَپ<س: جَپنَہ)۔ زَپھ کرُن۔ دَیہ ناو سورُن۔ پچ پھِرٕنی۔ دَیہٕ سُند ناو ہیٚنہٕ تہٕ ہیٚنہٕ ہوان روزُن۔

زَپھ :-(ن۔ مؤل: زَپ<س: جَپہ)۔ نامہٕ سُمرن۔ وٗظیفہٕ۔ تسبیح پھِرٕنی۔

زَپُس بِہُن :- زَپھ کرنہٕ باپتھ کأنہہ جاے رٹٕنی۔ وٗظیفس بِہُن۔

زَپہٕ کوٚچھ :- سُمرن تھاونچ گوٗژر، سو گوٗژر یتھ منٛز اَتھ تراوِتھ سُمرن پھِرنہٕ چھےٚ یوان۔

زَپہٕ مال :-(ما۔ مؤل: زَپہٕ مال<س: جپہ+مالا)۔ سمرُن، تسبیح (دَیہ سُندی ناو پھِرنہٕ باپتھ)۔

زَپہٕ ہُم :- سُہ ہوَن یتھ پتھ زَپھ لاگان چھہٕ۔

زَپھ پتھ :- دوہ پاسنایہ ہندی اَنگ۔ زَپھ، تپسیا بیترِ۔ رِیاضتھ۔

زَپھ کرُن :- مَن ڈَنجہٕ رٹتھ نامہٕ سُمَرن کرٕنی۔ وٗظیفہٕ پرُن

زَٹل ١ :-(م۔ مؤل: زَٹل<مُ: ہ: زٹل]۔ ١۔ زَڈ۔ ٢۔ بےٚ ایمأنی۔ بأزی۔ تارن گری۔

زَٹل وائنی :- زَڈ وائنی۔

زَٹل ٢ :- لاخار۔

زٕٹلی :-<مُ۔ ہ۔ زٹلی)۔ ژرل۔ بگوأسی۔ سُہ یُس ژرُن کتھن کأنہہ بوٗر آسہٕ نہٕ۔

زَٹھ :- م۔ مؤل: زَٹ<س: جٹا)۔ ١۔ یتھ کھر آسہٕ آمت۔ ٢۔ وُٹھنہٕ آمت مَس۔ ٣۔ تم مَسوال یم کنگو یا زول دِنہٕ ستی نیرتھ ہین۔ کپسہٕ۔ ٤۔ شوٗنٹھ بیترِ کُنہٕ گنڈ رِہندی ریشہٕ۔

زَچل :- ١۔ یُس زَچہٕ نالہٕ آسُن۔ ٢۔ یُس زچہٕ لُجو آسن۔ ٣۔ کُنہٕ لایق نہٕ۔ کُنہٕ کامہٕ ہُنٛد نہٕ۔

زَچہٕ پَچہٕ :- وُچھوزٕٹ لفظس تل۔

زَحمتھ :-(م۔ مؤل: زَحمت<ع: زحمة)۔ ١۔ شِکس۔ مُصیبتھ۔ ٢۔ تہٕ کینٛہہ یہ للہٕ وٗن پیٚیہٕ۔ چیٚٹ۔

زَحمہٕ لد :- شِکس لد۔

زَخم :-(ن۔ مؤل: زَخم<ف: زخم)۔ چھوکھ، کھش بیترِ۔

زَخمن کرٕ ورتُلُن :- مُشتھ گومت مُصیبتھ زٕٹھس پأوِتھ دَگ تُلٕنی۔

زَخمن نۆن چھکُن :- تہٕ دٕتھ گو دَگ ہُرراوٕنی۔ چھن تُلُن۔

ڑ

اُردوٗ ہِک پنداُہیُم تہٕ کاشُرِیک گنوٗہیُم اَچھر۔ اَمہِ اَچھرٕ سٍتیٚ چھُنہٕ کانٛشرِس اَندر کانٛہہ تہِ لفظ شوٗروٗ سپدان

ز

ز۔ عربی ہِک کُہیُم، فارسی ہِک ترُٛواُہیُم تہٕ کاشُرِیک وُہیم اَچھر، ابجد حسابہٕ چھُ اَمیُک مول سَتھ (۷)

زَب:۔(ن۔مؤل: زَب) گاسُک اَکھ قسِم۔ یُس یُژ پاٛٹھی نمبلن ہیٚرِ کھسان چھُ۔

زَبہِ لَگ:۔اَکھ ہِنٛگ جاناوار یُس زوٚیس منٛز آسان چھُ۔

زَبہِ گاسہٕ:۔پیٚژ ہیوٗ بےٚ مَزٕ گاسہٕ۔ سُہ گاسہٕ یتھ نہٕ طاقتھ آسہِ۔

زَبہِ ووٚنۍ:۔نمبلہِ منٛز سمیومُت ژوکہٕ ووٚنۍ۔ سُہ ہُنٛۍ یُس نمبلہِ یا زَبہِ دارژمینس منٛز آسان چھُ۔

زَبَر:۔ (مُول۔ زَبر (ف: زَبَر) ۔ا، جان۔ رُت، ٹھیکھ۔ ۲مَزٕ دار۔ میٛوٹھ۔ ۳سولو کٹ رکھہِش یوسہٕ اَکھ خاص آواز نیرنہٕ باپتھ کُنہِ اچھرس پیٚٹھ کُنہِ تراوان چھِ۔ اَکھ حَرکتھ۔

زَبَر زیرِ فَرِق:۔کم زیادٕ فَرِق۔ موموٗلی فَرِق۔

زَبَر گژھُن:۔۱۔ٹھیکھ گژھُن ۔۲۔مَزٕ دار گژھُن۔ ۳۔کانٛسہِ تہِ گژھُن یہِ تَس پَزِ ہے۔

زَبَر دَس:۔زَبَر دَست۔ مُول: زَبَر دَس ف: زَبر دست] ۱۔زورٕ وول طاقتہٕ وول، بُہودُر۔ ۲۔پیٚٹھ پیٚنہ وولٕ، زور جَبر کَرَن وول۔ ۳۔حَدٕ کھوتہٕ زیادٕ پَرٕزٕ پیٚٹھی سَخ م:۔راتھ پیوٚ زَبرَدس روٗد۔

زَبَردٕستی:۔زور جبر، غَنڈٕگی، پیٚٹھوٗلی۔

زَبان:۔[ما۔مؤل: زَبان ف: زبان]۔۱۔ زیوٚ یمہِ سٍتیٚ مَزٕ وچھان چھِ یا کَتھٕ کران چھِ۔ ۲۔بوٗلِ۔ ۳۔کَتھ، لِفظ وَرگہٕ پاٛٹھی] وادٕ۔ ۴۔قلمہٕ پیٚٹیُک کھَس۔ ۵کُنہِ زیوَرس بیترِ زیورس وانٛلس منٛز بنٛد کرنٕک کُنڈٕ یا تار۔

زبان تھاوٕنۍ:۔(بیاژ بیترِ خاطرٕ) نیتھ کرٕنۍ یا لفُظ کرُن۔

زَبان دَراز:۔(حف: زبان دراز)۔زیوٚ زیوٗٹھ۔ گُستاخ۔ بدتمیزی سان کتھٕ کرن وول۔

زَبان درأزی:۔گُستاخی۔ تیُتھ کینٛہہ وَنُن یہِ نہٕ وَنُن پَزِ۔ بدتمیزی۔

زَباندان:۔(حف: زباندان)۔ل۔م: یُس زبان زانان آسہِ۔ زبانٛۍ ہُنٛد زانٛنۍ کار۔

زباندانی:۔زبانٛۍ ہنٛز زانٛنۍ کانٛری۔ زبانٛۍ ہُنٛد عِلم۔

زَبان دِنۍ:۔وادٕ کرُن۔

زَبان دِنٛز:۔کینٛہہ تیُتھ دُنتھ گژھُن یمہِ سٍتیٚ پابنٛد گوٚھ زِ۔

زَبان کرٕنۍ:۔وادٕ دیُن۔ لفظ کرُن۔ سودا طےٚ کرُن۔

زَبان ہنٛز:۔یُنٛد نہٕ توقع آسہِ تُنٛدُے بُڈتھ تہٕ بوٗلتھ

وٕنُن۔ تیز کلامی کرٕنی۔

زبأنی :-۱۔ زیوِ ستی۔ کتھو ستی۔۲۔ تیُتھ ژٕبتس آسُن یُتھ پھٔر پھٔر گرتھ پھرتھ ہیکی زِ۔۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) پیٹھی پیٹھی، سرسری۔ کتھو ستی۔

زبأنی وٕنُن :-لیکھِتھ دِنہٕ بجایہ زیوٕ ستی وٕنُن۔

زبأنی یاد کرُن :-ژٕبتس کرُن۔

زبأنی :-۱۔ زیوٕ ستی، یِہ نہٕ لیکھِتھ آسہِ۔ یتھ نہٕ تحریر آسہِ۔۲۔کأنسہِ ہنٛدِ وَننہٕ کنہِ۔ م: تہٕنزی زبأنی۔

زبأنی گنڈ :-کہہِ ستی ہنہٕ آمٕت شُپیٖگ دوٖیم گنڈ۔

زپُن :-(ن۔ مؤل: زَپ<س: جَپَنَ)۔ زپھ کرُن۔ دَیہ ناو سورُن۔ تسبیح پھرٕنی۔ دَیہ سُند ناو ییٚہ تہٕ ییٚہ ہوان روزُن۔

زپھ :-(ن۔ مؤل: زَپ<س: جَپہ)۔ نامہٕ سُمرن۔ وٕظیفہٕ۔ تسبیح پھرٕنی۔

زپس بہُن :-زپھ کرنہٕ باپتھ کأنہہ جاے رٹٕنی۔ وٕظیفس بہُن۔

زپہٕ کوٚچھ :-سُمرن تھاوٕنچ گوژر، سو گوژ ریتھ منٛز اَتھ ترٛأوِتھ سُمرن پھرنہٕ چھےٚ یوان۔

زپہٕ مال :-(مؤ۔ مؤل: زَپہ مال<س: جپہ+ مالا)۔ سُمرن، تسبیح (دَیہ ہنٛدی ناو پھرنہٕ باپتھ)۔

زپہٕ ہُم :-سُہ ہوٚن یتھ پیٹھ زپھ لاگان چھِ۔

زپھ پٔتھ :-وو پاسنایہِ ہنٛدی اَنگ۔ زپھ، تپیا بیتر۔ رِیاضتھ۔

زپھ کرُن :-مَن ڈٔنجہِ رٔٹِتھ نامہٕ سُمرن کرٕنی۔ وٕظیفہٕ پرُن

زٹل ۱ :-(م۔ مؤل: زٹل<م: ہ: زٹل]۔۱۔ زڈ۔ ۲۔ بے ایمأنی۔ بأزی۔ تارن گری۔

زٹل وألنی :-زڈ وألنی۔

زٹل ۲ :-لاخأر۔

زٹلی :-<م۔ ہ۔ زٹلی)۔ ٹرل۔ بگوأسی۔ سُہ یُس ژُن کتھن کانہہ بوٗر آسہِ نہٕ۔

زٹھ :-م۔ مؤل: زٹ<س: جٹا)۔۱۔ یتھ گٔر آسہِ آمٕت۔۲۔ ڈٕٹھنہٕ آمٕت مَس۔۳۔ تم مَسوال یِم کنگو یا زول دِنہٕ ستی نیرتھ ہن۔ کیبہٕ۔۴۔ شوٗنٹھ بیتر گنہٕ گنڈ رِہنٛدی ریشہٕ۔

زچل :-۱۔ یُس زچہٕ نالٕی آسُن۔۲۔ یُس زچہٕ لگہٕ آسن۔۳۔ گنہٕ لایق نہٕ۔ گنہٕ کامہِ ہُنٛد نہٕ۔

زچہٕ پچہٕ :-وُچھوُٹ لفظس تل۔

زحمتھ :-(م۔ مؤل: زحمت<ع: زحمة)۔۱۔ شِکس۔ مُصیبتھ۔۲۔ تہٕ کیٚنہہ یہ للہٕ وُن پییہٕ۔ چیٚنٛڈ۔

زحمہٕ لد :-شِکس لد۔

زخم :-(ن۔ مؤل: زخم<ف: زخم)۔ چھوکھ، کھش بیتر۔

زخمن کرُور تُلُن :-مُشتھ گومٕت مُصیبتھ ژٕبتس پأوِتھ دگ تُلٕنی۔

زخمن نۄن چھکُن :-تہٕ دٕپتھ گو دگ ہُرراوٕنی۔ تچھن تُلُن۔

زخمِ حیات:-اَکھ بوٗٹی یوسہٕ اَندرِی زخمس علاج چھےٚ۔

زخمی:-(<ف: زخمی)۔ مُصیبتھ زدٕ۔ چھوکہٕ لد۔ یُس زخم آسَن لگیمتۍ۔

زَخمہٕ:-ن۔ مؤل: زَخم <ف: زَخمہ) سُہ چیز یمہٕ ستۍ سارنگ بیترٕ وایان چھِ۔ مضراب۔ کمان۔

زَد:-(<ف: زدہ)۔(اَکھ پوٚت لوٗگ)۔م: تاوَن زد۔ یُس یا یتھ کُنہِ کنۍ وکانہہ یا وارِی داتھ گومُت آسہِ۔

زَدَل:-یتھ پرٕ ین آسہِ گومُت۔ یتھ سرٕ ڈےسرٕ د آسَن۔م: کینژن رٕنۍ چھےٚ زَدَل ژھبے۔

زَدٕ:-(ن۔مؤل: زَد)۔ لوٗٹ گۄو۔ وول۔ سرٕ و۔ سُلاخ۔ ترٕم۔

زَد کرٕنۍ:-۱۔ لاین۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) ہُرٕ والنۍ۔

زدٕ گوٚژھنۍ:-۱۔ گدٕی گوژھنۍ۔ سرٕ وگوژھنۍ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) پارٕ پارٕ گوٚژھن۔ گبابہٕ گوژھنۍ۔۳۔ خجل گوٚژھن۔ خار گوٚژھن۔

زدٕ زدٕ:-۱۔ اَسی اَسی۔ ٹاسس پتھ ٹاس (پاٗزارن بیترٕ ہندی)۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) مجبوٗر گرتھ۔

زدٕ زدٕ مانٛی راوُن:-زبردستی مانٛی راوُن۔

زدٕ کوب:-(ن۔ مؤل: زدٕ کوب <ف: زدٕ وکوب) سَخ شلکھ، لوٗرِی لاین۔

زڈٕا:-(مؤل: زڈ <س: جڈ)۔۱۔بےٚ جان۔ زڈٕ روٗس۔ عبتہٕ مومُن، بےٚ حرکتھ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) مُڈٕ۔ یُس کتھ فِکرِ ترٕنہٕ۔ یُس نہٕ کینٛہہ سیوٚد فِکرِ ترٕ۔

زڈٕ برٕتھ:-(<س: جڈبھرتہ)۔ اَکس زٔنۍ سُند ناو یُس کتھ باتھ ستہٕ حرکتھ اوس نہٕ کران۔ پرانن ہُند اکھ کردار یُس دَیُس پان پٔتُرتھ نیبرِی کنۍ سور ستھ ستہٕ اوس نہٕ کران۔

زڈٕ موٗنڈ:-(مؤل: زڈٕ منٛڈ)۔ مؤلہٕ مڈٕ۔ یُس نہٕ کانٛہہ کتھ ستہٕ فکرِ ترٕ۔

زڈٕ۲:-(م۔ مؤل: زڈٕ <س: جڈ۔ م: س: جاڈیہ) بےٚ گارٕی۔ اَپزٕ بے نکھ والےٚ۔

زڈٕ پکناوٕنۍ:-دِلہٕ کاٗم نہٕ کرٕنۍ۔

زڈ کڈٕنۍ:-مطلب کڈتھ نیٚن۔ وَق گساوُن، پنٛنۍ کاٗم ہینٛز۔ بیتھ بیتھ کاٗم ہینٛز۔

زڈٕ نکھ والنۍ:-پوٗرٕ دِل دِتھ نہٕ کرُن۔ کاٗم اَپزٕ بے نکھ والنۍ۔

زڈٕ نیرٕنۍ:-بیتھ بیتھ کاٗم پکٕنۍ۔

زڈٕ وانٛنۍ:-وُچھو ''زڈٕ نکھ والنۍ''

زٕڈ پلو:-کانٛہہ سُہ چیز یُس محض حاجتھ روا یٔی خاطرٕ آسہِ۔ محض کاٗم پکناونہٕ باپتھ کانٛہہ یا کینٛہہ۔

زٕڈ پیٹھ آسُن:-صِرف پنٛنۍ کاٗم کڈنس پتہٕ آسُن، خاص گرتھ تُسند یُس نہٕ یہٕ فکرِ آسہِ زِ پتہٕ کیا بنہِ۔

زَرا:-(ن۔مؤل: زَر <س: جڈ)۔ کنٛن ہُند گوبر۔ کنٛو نہٕ بوزُن۔

زرِ پٔر:-سخ زَر بر۔

زرِ پوٗر:-یُس گوٚب پٔہن بوزان آسہِ مگر کامہِ کارٕ

وِزِ آسہِ مؤلہِ زوٚرلاگان۔

زَرپیوٚن:-ووکھ کرٚکھ یاتاس گرٛھتھ کٔنٛن گوبر گرٛھن۔

زَر۲:-(ن۔مؤل: زَر < س: چور)۔۱۔ پَتھ ہِتر۔ بُخار۔۲۔ خوفہِ ہِتی پھکِچ مٔژ ہِتر۔۳۔ (ورگہ پاٹھی) لٔنٛگیک بیہ۔پھرٕ ٹھ۔

زِرپھکھ:-سو گانٛڈ یوسہٕ تپہِ لدس اُسَس چھےٚ یوان۔

زِرلَد:-تپہ لَد۔

زَر۳:-(ن۔مؤل: زَر < ف: زَر)۔۱۔ سون۔ ۲۔روپیہ۔مال دولتھ۔دیار۔

زَرِچوٗلہِ:-سہٕ باج یُس چوٗلس لگہِ۔

زَرِنقد:-وٹہٕ روٗپی،موہر،دیار۔نقد روپیہِ۔

زَرباف:-(ن۔مؤل: زَرباف < ف: زَرباف) اَکھ کپُر یَتھ ووننہٕ یِس ہِتی زٔری یا تلہٕ چہِ تارِ تہٕ آسَن۔

زَرخرید:-۱۔ مُلی ہیوٚتمُت ۲۔(ورگہ پاٹھی) غلام،آویزٕ۔

زَردار:-(مؤل: زَردار < ف: زَردار)۔دیارٕ وول۔ آسن وول۔

زَرزِج:-(سرکاٗری) باج۔نقد ٹیکس۔

زَرکاٗری:-(م۔مؤل: زَرکاٗری < ف: زَر)۔ تلہٕ چھاوٕن۔تِلہٕ (چھاونٛچ) کاٗم۔

زَرگر:-(ن۔مؤل: زرگر < ف: زَرگر)۔سونُر۔ یہٕ چھےٚ اَکھ کرٛام تہِ۔

زَرگٔری:-دوکھ۔فریب۔اُچھن کچھ۔تارَن گٔری۔

زَر۴:-سو آواز یَتھ تانٛتھ کھسہِ یا پپ پپ لگہِ۔

(بروٗنٛہہ لوٗگ)۔م: زَرکگوٗ۔زَرِ بَٹِچ۔

زَرکگوٗ:-(ن۔مؤل: زَرکگو)۔۱۔ ڈوٗنی گولرس وَتھہِ طرفہِ کاغذٕ لاگتھ تہٕ منٛزس چھونی دار تو ملہٕ پھٔلی ترٲوِتھ اَکھ گنٛدن تماشہِ،یہ چھُ پَن گنٛڈِتھ گِلناوَنہٕ یوان تہٕ اَتھ چھےٚ اَکہ خاص قسمُچ آواز نیران۔۲۔ اَکھ جاناوار یُس ہیوٚر کھٔسِتھ گَتھ دِوان تہٕ شی شی چھُ کران۔

زَرِا:-(م۔مؤل: زَر < س: بَٹا)۔زاشری سُنٛد مَس۔ سہٕ مَس یَتھ ڈُنہِ کھوٗرڈ الٕنۍ آسہِ۔

زَرڈوٗنی:-تم ڈوٗنی یم زَرن ہِتی دوٗ براونہٕ یوان چھِ۔

زَرکاسے:-شُرِس گوڈنِکہِ پھرِ مَس کاسنک رٕسم۔

زَرکاسنہِ:-شُرِس گوڈنِکہِ پھرِ مَس کاسُن۔

زَرکوپ:-زَرکلہِ۔لوکٹِس شُری سُنٛد مَس۔

زَر۲:-(<؟ع: زرع) گامَس منٛز سرکاٗری مُلازِمس رَس روٗزی تہٕ۔سفرٕچ رَسد۔کھینہٕ چنہٕ

زَرِ بَٹِچ:-گُلہ دِدر۔اکھ جاناوار یُس گُلہن کوٗران چھُ۔

زَرِ زَر:-عار۔اِنصاف۔کانٛسہِ ہِنٛدی پُرٛھی پَتھن۔ (یِنےٚ سُنٛد دوکھ وُچھتھ) وانٛجہِ کِنیا ہتام گوٚڑھن۔ وُچھو۔'زُرُن' تہِ۔

زَرُل:-وُچھو''زُلُر''۔

زُرُن:-برداش کرُن۔ژالُن۔پہرُن۔ٹھہِتھ ہکُن۔

زَربَر:-کٔنٛن ہُنٛد گوبر۔گوٚب بوزنٕچ حالتھ۔

زَرتُشت:-(ن۔مؤل: زَرتُشت < ف: زراتُشت)۔

پارسیَن ہِندِس مَذہبی وَتہٕ ہاو کہٕ سُند ناو۔

**زَرتُل:**- پِپہٕ وُن، (اَڈٕ پۆپ) تُل۔

**زَرد:**- (ن۔ مؤل: زرد<ف: زرد)۔ لیۆ دُر، لیٖد ریوُمت

**زرد گژھُن:**- (ورگہٕ) خوفہٕ یا خجالَتہٕ کِنۍ بُتھس لیٖد ریر پھیرُن۔

**زَردی:**- (م۔ مؤل: زَردی<ف: زردی۔ ۱۔ لیٖد ریار۔ لیٖدریر۔ ۲۔ سُستی (رَتھ کم آسنہٕ کِنۍ)۔

**زَردی پھیرٕنۍ:**- ۱۔ خوفہٕ بیترِ سٟتۍ بُتھس رَنگ ڈٕلُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) شَرمَندٕ گژھُن۔ خجل گژھُن۔

**زَردی گژھنۍ:**- (خوفہٕ یا کمزوٗری کِنۍ) بُتھس رَنگ ڈٕلُن۔

**زَردٕ:**- اَکہٕ قسمُک مٟٹھ پولاو۔

**زرق برق:**- (<ع: زرق برق) نِپہٕ نِپہٕ۔

**زَرمہٕ سَتَم:**- م۔ مؤل: زرمہٕ سَتم<س: جنمہ سپتمی) بأدرٕ رٕتہٕ گٹہٕ پچھہٕ ستم یُس دوہ کیژون جاین بگوان کرٛشنہٕ سُند زایہٕ دوہ مناونہٕ چھِ یوان۔

**زَرنِکھ:**- <ف: زردک) لیۆ دُر۔ زَردرَنگہٕ۔

**زَرنٹ:**- (ن۔ مؤل: زَرنٹ) وُچھو "زَنٹ"

**زَزا:**- (ن۔ مؤل زز) وایِنگ سازگرن وول۔

**زَز۲:**- (ن۔ مؤل: زَز<س: جَرجَر سبٹھاہ بُڈ۔ وأنٛسہٕ۔

**زَزٕر:**- (ن۔ مؤل: زَزر<س: جَر جَر) ۔۱۔ دودُر (خاص کٔرِتھ سبزی بیترِ ہُند) ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کُلبن کٹبن بیترِ پَن لیٖدرُن، ہُرتھ پنٛنس واتُن، ہِچِنۍ حالتھ۔ بُڈُن۔ م: ہِندِ زَزٕر۔

**زَزٕری کأنۍ:**- سبزی ہُند کاژریومُت حِصہٕ۔ ژأریُن۔

**زَزٕراژُن:**- ۱۔ لیٖدریر پھیرُن، ہوکھُن۔ کاژریر گژھُن (کُلبن کٹبن بیترِ) ۲۔ مَس چھٕتِن ہیوٚن۔ ۳۔ وأنٛسہٕ یُن (انسان بیترِ)۔

**زَزٕرُن:**- ۱۔ زَزٕراژُن۔ ہوکھُن۔ دودرُن۔ ۲۔ چھُتُن

**زَزٕریوٗمُت:**- زونگریومُت۔ بڈیومُت۔

**زَسد:**- ن۔ مؤل: زسد<س: جَسد)۔ اکھ داتھ۔ ناگ

**زَسمہٕ:**- (م۔ مؤل: زسم<س: دَنشٹر) اَرسہٕ۔ دَنٛدٕ وَٹِنٛگ پٟتیم حِصہٕ۔

**زَسمہٕ بیہناونہٕ:**- تِتھ کینٛہہ کرُن یُمہٕ سٟتۍ نہٕ کینٛہہ تہٕ کٔرِتھ ہیٚکہٕ۔ مُنٛز بیہناوُن۔ م: دَنٛد بیہناوٕنۍ۔

**زسمہٕ بیہنہٕ:**- ۱۔ کینٛہہ وَکھنہٕ گژھنہٕ کِنۍ دَنٛد وٕٹۍ نہٕ دوٛھنۍ۔ تاڑنہٕ ووتھُن۔ غش یا بے ہوٗشی بیترِ کِنۍ دَنٛد ٹُونہٕ ہنۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) پأر بِہُن، مُنٛز بِہُن۔

**زکاتھ:**- [ن۔ مؤل، زکات<ع: زکوٰۃ] پانٛژِ واِسلأمی ارکانو منٛز اَکھ رُکُن، یُمہٕ موٗجب پٔزِتھ مسلمانَس سالانہٕ نقدی تہٕ جنٛسی پٮ۠ٹھ أندرٕ اَکھ خاص حِصہٕ غریبن تہٕ نادارن دیُن فرض چھُ۔

**زَکھ:**- [ن۔ مؤل: زَکھ] ۔۱۔ دَدارٕ۔ نوقصان۔ ۲۔ تکلیف۔

**زَکھس پٮ۠ٹھ آسُن:**- کأنٛسہٕ کُھنس پٮ۠ٹھ کمربستہٕ روزُن۔

**زَکھ واتُن:**- ۱۔ دَدارٕ واتُن۔ کُنہٕ قسمُک نوقصان سپدُن ۔۲۔ تکلیف واتُن۔

زَکھ واتناوُن :-۱۔ دَدارِ واتناوُن۔۲۔ تکلیف دیُن (کانٛسہِ)

زَکھمَکھ :-[ن۔مؤل: زکھمک < تُرکی : چقماق ) اَکھ خاص کٔنۍ یَیمہِ کٔنہٕ دون پھلبن یا کھنٛجن پانہٕ وانٛیۍ گھکھرِ دِنہٕ سٟتۍ تمبرِ چھےٚ نیران۔

زَگ اِ:- گوٚٹ وہ زُل (دانہِ تہٕ مُل بیترِ)

زَگ تہٕ پرٕ ؤن :-چھوٚت تہٕ کرٕ ہُن۔رُت تہٕ فراخ۔ اصل تہٕ کٹہٕ۔

زَگ تہٕ پرٕ ون نوٚن کڈُن :-چھوٚت تہٕ کرٕ ہُن ژارُن۔اصل تہٕ کٹہٕ اَلگ اَلگ کڈُن۔

زَگ دانہِ :-(ورگہٕ پاٗٹھی) کِہے کینژہ ھا (یِہ غنیمتھ زانٛیۍ زِ)مِ: زَگ دانہِ تہٕ ماف۔

زَگ ۲ :-(م۔مؤل: زَگ < س: جَگ) ۔دُنیا۔ سمسار، عالم۔کائنات۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) لٗکہٕ ارساتھ۔واریاہس بڈٕس تید ادس منٛزلۆکھ۔مِ: زَگتھ آوژٕ سٟتھ۔

زَگتھ :-(ن۔مول: زگتھ < س جگت) کائنات۔دُنیا۔

زَگتھ اپشر :-(ن۔مؤل: زَگتھ ایشر < س: جگت + اپشور) کائناتُک ماٗلکھ۔سارِ دُنی ہِنٛک راز۔ رب العالمین۔

زَگتھ اپشوری :-(م۔مؤل: زَگتھ ایشوری < س: جگت + اپشوری) کائناتچ ماٗج، ماتا۔دیوی۔

زَگہِ پٹرٕ ھ :-شرٕ طل۔چھتل۔

زَگ پاٗلنٕۍ :-باز ختم گوٚھتھ پانہٕ پے ستۍ وقت گذارنہٕ باپتھ زارس رگنڈُن۔

زَل :-(ن۔مؤل: زَل < س: جلہٕ)۔۱۔ پوٗنۍ۔آب (کُنہِ پاک ڈری یاوُک ناگُک یا ترٛتھک)۔

۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) اِتھر۔پیشاب۔

زَل چاریُن :-سخ پیشاب یُن۔

زَل گُراِ:-(ن۔مؤل: زَل گُر < س: جَلہٕ +گھوڑٕ)۔ سہٕ گُریُس پاٗنس منٛز روزِ۔ اٗبی گُر۔ وُچھو 'زَل گُر ۲' تہٕ۔

زَل لگُن :-سخ پیشاب یُن۔اِتھر چاریُن۔

زَل مل :-(ن۔مؤل: زَل مَل < س: جَلہٕ+مَلہٕ) پیشاب پاخانہٕ بیترِ۔اِدرار(بوٗ ڈتہٕ لوٗٹ)۔

زَل مَل بند گژھُن :-پیشاب پاخانہٕ نہٕ پکُن۔ اِتھر ماٗ دان بند گوٚھُن۔

زَل مے :-آبے آب۔

زَل وبسرُن :-(خوفہٕ سٟتۍ) اِتھر نیرتھ ژلُن۔

زَل، زَل ہوٗس :-(ن۔مؤل: زَل ہَس < س: جَلہٕ ہستی) اَکھ ڈری یاوُی حیوان یُس سبتھاہ وۄتھ چھُ آسان۔

زَل یُن :-اِتھر یُن۔پیشاب یُن۔

زَلہٕ وُن :-۱۔ دزٕ وُن۔مِ: للہٕ وُن تھوونم زلہٕ وُن نار۔ ۲۔ وُشُن۔تاز رونٛمت۔پھٕچھہِ دِوُن۔ دلنہٕ پٹھک، توٚت توٚت۔

زَلُر :-(ن۔مؤل: زَل < س: جالہ کار)۔اکھ کیوٚم

یُس زال وۄنیتھ تِھٕے اندر زاگہِ بِہان چھُ۔

زٕلِر زال:-۱۔زأوِیُل زال یُس زُلر وونان چھُ۔
۲۔اوٗژھ تہٕ زأوِیُل۔۳۔(ورگہ پأٹھی)
فَند۔فریب۔۴۔سہٕ کیرٕ یتھ پینٛژٕ تہٕ ووٗنُن بیٛون
بیٛون تہٕ توٗن توٗن آسہِ۔

زٕلِر زأج:-لوٗکٕٹ لوٗکٕٹ زٕلِر زال۔

زُلن ۱:-(ن۔مۄل:زلن<س:جَل)۔پاں گلِتھ۔اُبِی یتھ
باسٕنی۔اُسٕس آب یُن۔پاں گرٕ کہ کھسنہِ۔

زُلن ۲:-(ن۔مۄل:زَلن<س:جولنم)(ژوکنہِ کَنی)
میٛادس وِہُن وۄتھُن، نارووتھُن۔

زَل گر ۲:-(ن۔مۄل:زَل گر<س:چھلَہ+گھوٹہ)
بأسکل۔بایےسکل۔

زمانہٕ:-(ن۔مۄل:زمان<ع:زمان)۔
۱۔وَقت۔سَے۔دور۔۲۔اکھ وأنٛس۔

زمانہٕ ساز:-(ع:زمان+ف:ساز)۔۱۔زمانس
ستی ستی پکن وول۔۲۔یُس مطلب کڈنہٕ باپتھ
وادوٗ چھتھ ناوتہ اوِ۔طبق نال،بتہٕ سازندر۔

زمبہٕ وار:-وارس پیٹھ وار مَل۔مَلکی لأوی۔۲۔زَنن
بانس کھوتمُت کنڈ یک موٗٹ وار۔۳۔وارس پیٹھ وار
شین یتھ شِشٕر آسہِ لوٗگمُت۔م:زمبہٕ وُن سہٕ
ڈیشتھ زَمبہٕ وار۔تمبلیوٗمُت چھُ تِی تھے بہار۔
(پرمانند)

زٕمبٕی لَد:-یتھ زمبوار آسن کھتی متی۔

زمب چوٗل:-اکہ قسمک موٗ۔

زمرُد:-(ن۔مۄل:زمرد<ع:زُمرد)سبز جوأہر۔

زمزم:-(ن۔مۄل:زمزم<ع:زمزم)کعبہ شریفس
نکھہٕ سہٕ وُزوٗن آب یتھ متلق روایتھ چھےٚ زِ
حضرت اسمأعیلؑ اوس دود چوٗن اُتھن ترٛیشہِ
ترٛیشہِ کران تہٕ تُہنٛز کھورِ لگھرٕ ستی وُزیوو یہ ناگ۔

زَمہر پر:-(ن۔مۄل:زَمہرپر<ع:زمہرپر)۔
۱۔سخ ترٕ۔۲۔کُٹھ کُش ژھٹھ۔۳۔سہٕ جہنم یتھ
اندر سخ ترِ ہُند عذاب چھُ۔

زَن ۱:-(ن۔مۄل:زَن<س:جَنہٕ)۔۱۔زوٗن۔
شخص۔انسان۔موٗہنیوٗ۔م:زَن کوٗ زانہٕ تے
ژٕےنبرٕنی زَنے۔(پرمانند)

زَن سرٛوٗد:-بأج وَٹھ۔(پانہٕ وأنی)اکرٛوٗن پکرٛوٗن۔

زَن ۲:-۱۔فرض کرو۔اگر۔م:سہٕ زَن آسہِ آمُت۔
۲۔سیٚہ ڈُپٕی زِتہٕ۔م:زَن گیس تِھھ۔

زَن ۳:-(م۔مۄل:زَن<ف:زَن)زنانہٕ ژٕنی۔م:
مَکرِ زَن۔

زَن مُرید:-کولیہِ موٗت۔زنانہٕ پتھ اُنتہٕ گومُت۔

زَنخدان:-(ن۔مۄل:زنخدان<ف:زنخدان)ہونٛگنی۔

زَناردَن:-(ن۔مۄل:زَناردَن<س:اَجناردَنہٕ)
وِشنوٗ سُند اکھ ناو۔کرٛشنہٕ سُند اکھ ناو۔

زَنانہٕ:-(م۔مۄل:زَنان<ف۔زنانہٕ۔۱۔ژٕنی۔
۲۔کولے۔آشنیٛ۔

زَنانہٕ رَنگ :-حاَض۔زَنانہٕ ہُند ماہوٲری عوٗزُر۔

زَنانہٕ زوٗے :-سُہ مَرٕد یُس زنانن منٛز ے بہان آسہِ۔یُس زنانن سٟتؠ ووتھہٕ بیٹھ آسہِ۔یہِ چھِ اُکِس تِتھس زُٕنس ونان یُس زنانن منٛز روٗزِتھ پٔنٕن روتبہٕ کھُلِتھ تھاوِتھ اوس۔

زنانہٕ کھیوٗل :-وار یاہ زَنانہٕ۔زَنانن ہنٛز جماتھ۔

زَنانہٕ موٗر :-زَنانہٕ جِسم۔یتھ سبٹھاہ دیاَ زیچھِ آسان۔

زَنانہٕ موٗہنیٛو :-۱۔زنانہٕ۔۲۔(ورگہٕ پاُٹھی) سُہ مَرٕد یُس زَنانہٕ ہیٛو باسہِ۔۳۔مَند چھِ بُتھ۔

زَنم :-(ن۔موٗل:زنم<س:جنم)۔۱۔زیوٗن۔تھَنہٕ پیوٗن۔پاُدٕ گژھُن۔۲۔زِندگی۔م:زنم رٔتھِ کھاُرن۔

زنم بوٗگن :-دُنی یہکۍ تکلیف تُلٕنۍ۔تہٕ ژاُلن یہِ ڈیکس آسہِ۔زندگی ہُند دوکھ برداش کرُن۔

زَنمس یُن :-زیوٗن،تھنہٕ پیوٗن۔پاُدٕ گژھُن۔

زنمانتر :-(<س:جنمانتر)۔بیاکھ زَنم سبٹھاہ زنم۔

زَنمہٕ اُٹھم :-(م۔موٗل:زَنمہٕ اُٹھم<س:جنماشٹمی) باُدرٕ پیتہٕ گٹہٕ پچھ اُٹھم یتھ دوہہٕ کرشنہٕ سُند زینہٕ دوہ منادنہٕ چھُ یوان۔زنماشٹمی۔

زَنمہٕ زَنمانترن :-۱۔وار یاہہِ پھِرٕ زیتھ۔۲۔ہَر ہمیشہِ۔

زٕنٛز :-(م۔موٗل: زٕنٛز <س: جنٛنی)۔یُس تھَنہٕ پیٛے زِ،ماَج۔

زَنہٕ وام :-وچھوزاٗوان۔

زَنہٕ وان :-(م۔موٗل: زَنوان<س:جنا+وانی) بےٚ خبر پاُٹھۍ لوٗکن ہُند دوٚپ یُس پانس براہ یِیہِ۔نیکھ شوٗگوٗن۔

زَنہٕ وان تٕنۍ :-بےٚ خبری منٛز تتھ کانٛہہ کتھ کَنن گژھٕنۍ یوسہٕ براہ آسہِ۔

زَنڈ ،زژَنڈ :-(ن۔موٗل: زَنڈ <س: جھانڈ)۔۱۔دوٚپھ یُس گُل ہیٛو رزیاٚ ڈیٚتھ دان چھُنہٕ تہٕ گوڈٕ پیٹھے چھُس لنٛجہٕ نیران۔۲۔جھار دار کچھ ہیتر۔م: سوٗ یہِ زَنڈ۔۳۔تھوٚپ ہیٛو۔

زَنڈٕ کَکوٗ :-(ورگہٕ) سُہ زوٚن یُس زاٚنتھ مٲنتھ لوٗکن نشہِ دوٗرٕ دوٗرروزان آسہِ۔لوٗکن نشہِ ژھیپتھ ہیٚنہٕ وول۔

زَنڈ کرُن :-ژرِ ہایہٕ نیرنہٕ۔گنبر گژھُن۔م: داٚنِن چھُ زَنڈ کوٚر مُت۔

زَنگ ا :-(م۔موٗل: زَنگ <س:جنگھا)۔۱۔روٗنکھہٕ پیٹھٕ گوڈٕ ستام انسانٕی جِسمُک تان۔۲۔سُہ تان یتھ پیٹھ زوٗ زاتھ اِستادٕ چھےٚ یا پکان چھےٚ۔۳۔میز کُرسی ہیتر۔فرنیچرُک پایہ۔۴۔پھٕرٕ یژرانٛنہٕ باپتھ کامہٕ پیٹھ نیرنہٕ وِزِ کانٛسہِ ہُند برٕونٹھۍ یا ڈٕچھنۍ یُن۔۵۔جان شوٗگوٗنہٕ باپتھ توٚمل نوٗن، روپیہ ہیتر کانٛسہِ یا گُنہِ لاَگتھ حقدارس دِنہٕ باپتھ۔۶۔پھٕرٕ ڈٕژیا پھیشل نیرنُک کانٛہہ نشانہٕ۔

زَنگن گَنڈ گرٕھُن :-پانے تیُتھ کینٛہہ سپدُن یتھ زِ کنۍ اورٕ یور گژھنس وار روزِنہٕ۔کانٛہہ تہٕ ذمہٕ واٲری اَگادِ گرٕھنۍ یتھ پنٕنہِ جایہِ ڈٕلتھ ہیکۍ زِنہٕ۔

زَنگن آرٕ گژھنہٕ۔

زَنگن اَنُن :-شۆگونہٕ موکھہٕ کانہہ شخص دود، توٗمُل یا بیٚیہٕ کینہہ ہتھ پانس ڈٕچھنہٕ کنہٕ اَنُن (ئوی پلولاگنہٕ وِزِ مکانس کُن دِنہٕ وِزِ، کُن نیرُن وقتہٕ بیترٕ)۔

زَنگہٕ تلی تراوُن :-ا۔(وَرگہٕ) یُس لۆ گمُت آسہٕ تَس بخشُن۔۲۔کانسہٕ قۆ صۆرٕ وارس تِتھہٕ پاٹھی ماف کرُن یُتھ سُہ خجِل گژھہٕ۔

زَنگہٕ زَنگ :-تہٕ ڈٕیتھ گوچاروائیس بدل چاروِے۔ (یہٕ لفظ چھُ ییٚژپاٹھی گوربن تہٕ پہلبن منٛز مُروج)

زَنگہٕ زَنگہٕ کرُن :-زٕنگی زٕنگی کرُن۔ پننہٕ ضمن کوٹھبن کأم ہیٚنۍ۔

زَنگہٕ نیرُن :-شۆگوٗن وُچھتھ نیرُن۔ بُتھہٕ رُت رُت یا کرُت کرُت پیوٗن۔

زَنگہٕ یِن :-ا۔پھرٕ یژرانہٕ باپتھ کانسہٕ ہُند ڈٕچھنہٕ کنہٕ نیرنہٕ وِزِ بُتھہٕ یِن۔۲۔رٕتہٕ شۆگوٗ ئکی سامانہٕ (توٗمُل،نوٗن روپیہ بیترٕ) پھٔکِس لاگنۍ۔

زَنگہٕ پھُٹرٕنہٕ :-ا۔ئکی سبٹھاہ پکہٕ پکہٕ کرنأوِتھ یا کرِتھ تھکراوُن۔۲۔کُن گوڈنہٕ نشہٕ منع کرُن۔ ۳۔پننہٕ جایہٕ پیٹھہٕ نہٕ ہلنہٕ دِیُن۔ پھیرنس تھورنس روٹ کرُن۔

زَنگہٕ ترٛے :-نُوریہہ ترٛے، اَمہٕ دوہہٕ چھےٚ نوشہٕ شۆ گوٗنہٕ یا زَنگ وُچھنہٕ باپتھ مالیُن گژھان۔

زَنگہٕ تراُوِتھ بِہن :-ا۔(وَرگہٕ) بےٚ فِکر پاٹھی بِہن۔ لمباسہٕ تراوِتھ بِہن تہٕ کامہٕ کارٕچ نہٕ فِکرٕ ے روزٕنی۔۲۔کانسہٕ ہنٛدِ گرٕ پیٚٹھی لازِ روزُن تہٕ تھپھ نہٕ تٔلنۍ۔

زَنگہٕ راٗدی اوٗن تہٕ زیٖو راٗدی نو یا زَنگہٕ راٗدی اوٗن زَنگہٕ زَنگ کرٕتھ زیوراٗدی نوزیوٕ گلہٕ وِتھ :- تہٕ ڈٕیتھ گوتیمِی زوٗژوٗٹ تس کھوٚت نہٕ تہٕ یَس زیٖچھ کتھہٕ تجہٕ کرنہٕ تَس میوٗل ئکی ہٕدی یہٕ۔اَکی ژوٗٹ زُوتہٕ بیےٚ نو کتھو ستی تمیک پھل۔

زَنگہٕ رود :-ا۔یَس زَنگہٕ زیٖچھ آسَن۔ یُس لانپہٕ بینان آسہٕ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) یُس ئکی کأم کرِتھ زَنگہٕ چھالِتہٕ وٹتھ بیٚس نہٕ کینہہ تہٕ۔مُ: زیٖو رود۔

زَنگہٕ زَنگ :-ا۔لٕتہٕ لٕتھ (کانہہ کأم اَنزراونہٕ باپتھ)۲۔کۆشِش۔

زَنگہٕ زَنگ کرٕنی :-(ورگہٕ) کۆشِش کرٕنی۔کانہہ کأم اَندوا تناونہٕ موکھہٕ یتہٕ گژھ کرٕنی۔

زَنگہٕ زیٖوٗٹھ :-یَس زیٖچھ زَنگہٕ آسَن۔(ورگہٕ پاٹھی) یَس واریاہ پکنَس عادتھ آسہٕ۔

زَنگہٕ ژٔٹنہٕ :-وُچھو 'زَنگہٕ پھُٹرٕنہٕ'۔

زَنگہٕ ژٕس دِیُن :-دُطرفانہٕ لمتھ زَنگہٕ کڈِتھ نہٕ۔

زَنگہٕ لَدنہٕ :-کانسہٕ اَتَس کھسُن۔ئکی بوراتراوُن۔

زَنگہٕ وُہرتھ ہیٚنڈرٕ رکرٕنی :-کأم کار موکلأوِتھ آرام کرُن۔ پۆت رٕج ورأے سوکھ چھاوُن۔ بےٚ پھرٕ ذِک پاٹھی بِہن۔

زَ نگہٕ وٕور :-مو نگہٕ ؤری یِم بَتہٕ شوٗ کو نہٕ باپتھ کھاندرس بیترِ پیٹھ مَسالہٕ ترأوِتھ تلان چھِ۔

زَ نگہ ہوٗر :-(ہزلہٕ) ہٕ زَ نگہٕ۔

زَ نگ ژ ھنُنی :-وڑسہٕ دیُن۔ دَخل دیُن۔

زَ نگ وُچھنی :-ا۔ شوٗ گوٗن وُچھُن۔ ۲۔ تیُتھ کینہہ کرُن ییمہٕ ستیٚ رُت یا کرُت شوٗ گوٗن نیٚہ۔

زَ نگ ییٚنی :-شوٗ گوٗن یُن۔

زَ نگ۲:-(ن۔مؤل: زَ نگ<ف: زَ نگ) کھَے۔ ووزِ جار سان کھوٗتمت شُسترٕس بیترِ سرٕ یٚہہ ستیٚ اَکھداو۔

زَنگم :-(ن۔مؤل: زَنگم<س: جَنگمہَ) حرکتھ کرونہٕ ژوِ ذاتھ۔

زَنگار :-(ن۔مؤل: زنگار<ف: زَنگار) سُہ نچر یُس دلتہٕ کَمن چیزن صاف نہٕ تھونہٕ کِنۍ یا سرٕ یٚہہ ستیٚ کھسان چھُ، خاص کٔرتھ سرتلہٕ تہٕ ترٛامَس۔

زَنگار کھسُن :-کُنہِ داتہٕ بانس، لوہہٕ وِس، سرتلہٕ وِس یا ترٛامہٕ وِس پیٹھ نچر پھیرُن۔

زَنگار لگن :-ا۔ بانس زَنگار آسنہٕ کِنۍ کُنہٕ چیزس (دودس بیتر) کرٛہ لگُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بےٚ کار گژھُن۔ سخ کأٹھی گژھُن۔ ۳۔ بے رونق گژھُن۔

زَنگأری :-(<ف: زَنگاری) سَبز رَنگ۔

زَنگوز :-(ن۔مؤل: زَنگوز)۔ اکہِ قسمُک لیف یتھ درِو أندری پھمبہٕ بدل تیتہٕ چھےٚ آسان۔

زَن نہٕ زأنِتھ :-تہٕ ڈیٚتھ گو: کُنہِ نہٕ کانہہ آسُن۔

دٕ دوَن۔ وأران جہات۔

زو :-(ن۔مؤل: زُو<س: جَنتہٕ)۔ ا۔ مانٛچھر۔ کوٗر۔ ۲۔ سُہ مَل بیترِ یُس داتھ وبگأ وِتھ نیران چھُ۔ کُنہِ بیأنس یا تو ملٕس بُزتھ کو ڈُمت رَنگ یا یہِ تِتھ رَنگ کڈِتھ پتہ گُن روزِ۔ داتھ وبگأ وِتھ یہِ پتھ گُن نیر۔

زَوال :-(ن۔مؤل: زَوال<ع: زوال)۔ ییٚوٚن۔ وَسُن۔ بِرُن۔ پتھ گژھُن۔ شکس یُن۔ تبأہی۔

زَوال یُن :-پتھ پتھ گژھُن۔ تنٔزُل گژھُن۔

زَہر :-(ن۔مؤل: زَہر<ف: زہر)۔ ا۔ وِیٚہہ۔ سُہ چیز یہِ کھینہٕ یا چَنہٕ ستیٚ مُری زِ یا مَرنہٕ سَر سپدِی زِ۔ ۲۔ (ورگہٕ) توت۔ تیز۔ نار باد۔ ۳۔ سخ ٹیوٗٹھ۔ ۴۔ جورِ روٗس تھکُن لایق۔

زَہر باد :-ا۔ چھیر۔ اکہِ قِسمُک (زہریلہٕ) پھٔکھر۔ ۲۔ (ورگہٕ) وُٹکُر۔

زَہر پھیٹُن :-سخ شرارتہٕ ستیٚ وأنٛجہِ چھُن ووتھُن۔

زَہر تیلُن :-واریاہس کالس کُنہِ کتھِ ہُند یا سختی ہُند اَثر بَروزُن۔

زَہر چھاٹُن :-ا۔ ژکھہِ سان سخ اُڈزأڈ کرٕنی۔ یُژ پأٹھی ہوأری کرٕنی۔ ۲۔ شرارتھ ہُراوُن (کأنسہِ پیٹھ۔)

زَہر دیُن :-(ورگہٕ) گالُن۔

زَہر کڈُن :-ا۔ (لأرس) کلہٕ تُلِتھ گُکھرِ ستیٚ نٛچھر

کڈُن ۔۲۔ (وَرگہٕ) کانٛسہِ پٮ۪ٹھ زہر چھانٛٹُن ۔
کانٛسہٕ ہنز یا کُنہ چیز پھوٚشتھ کانٛہہ رٔٹُن ۔
زَہر کھسُن :۔ سخ ژٕکھ کھسٕنۍ ۔ جانہِ مَنٛس پٮ۪ٹھ واتُن ۔
زَہر کھارُن :۔ ژٕکھ کھارٕنۍ ۔ شرارتھ کھارُن ۔
زَہر کھنبس واتُن :۔ ترٛٮ۪ہہ سختی ہیٚنۍ ییٚتھ موت تہٕ
غنیمتھ زٲنۍ زِ ۔
زَہر کھیوٚن :۔۱۔ (ورگہٕ) حیرٲن ۔ افسوس کھیوٚن ۔
جارِس پٮ۪ٹھ واٲتھ تہٕ أندری شرٛ ؤ پراوُن ۔ سختی
ژٲلتھ گٔرِتھ تہٕ نہٕ کرُن ۔
زَہر لگُن :۔۱۔ ٹیوٚٹھ لگُن ۔۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) رُت
گٔرِتھ تہٕ ٹیوٚٹھے باسُن ۔ رُت گٔرِتھ کرٕٹ باسُن ۔
زہر موہر :۔ اکھ قسمٕچ سبز کنۍ ۔
زَہر زمرُد :۔ (ورگہٕ) غضبُک تہٕ طوٗفانُک حسین
منظر ۔ م: ترٛٹھ ہیوٚ ۔
زہرِ قاتِل :۔۱۔ سُہ زہر یُس کھینہٕ چٮ۪نہٕ سٟتۍ یکدم
مٔرِ زِ ۔۲۔ سٮ۪ٹھاہ ٹیوٚٹھ یُس واٚلنۍ ژٕٹہِ ۔
۳۔ سٮ۪ٹھاہ شوخ ۔ شوٚبہٕ دار یا گاٹل بیتر ۔
زہرِ ہلاہل :۔ وُچھو 'زہرِ قاتِل' ۔
زہرِ گلی پیٚنۍ :۔ وُچھو 'زہر کھیوٚن' ۔
زَے :۔ (ن۔ مؤل: زَے > س: جَیہ) ۔۱۔ فتح ۔ کامیابی ۔
خوشی ۔۲۔ یہٕ چھُ کانٛسہِ کانٛسہِ ناو تہٕ ۔ م: زَے
کاک، زَے دید ۔
زَیا :۔ (م۔ مؤل: زَیا > س: جَیا) ۔ أکِس دیوی ہُند ناو
یوسہٕ پاروٗتی سٟتۍ چھےٚ روزان ۔
زیتوٗن :۔ (ن۔ مؤل: زَیتون > ع: زیتون) ۔ اکہِ
کُلِیُک ناو، أکِس پھلِس تہٕ چھِ زیتون وَنان ۔
زَا :۔۱۔ (اکھ برونٛہہ لوٗگ) زنٛگ ۔ م: زادوہ ۔۲۔ تھنہ
پیوٚمُت (زامُت) م: زاشُر ۔
زاچگانہٕ :۔ زاشرِ سُند نالہِ پلو ۔
زاپھبرن :۔ لوگُٹ پھبرن یُس زاشرِس نالہِ چھِ
ژھنان ۔
زادوہ :۔ (مؤل: زادوہ > س: جن جا + دِوسہٕ) ۔
۱۔ زینہٕ وار ۔ یٮ۪مہِ دوہہ کانٛہہ زامُت آسہِ ۔
ذُہرِ وود ۔
زاشُر :۔ ستہٕ زاوشُر ۔
زاکلپوش :۔ سو ٹوٗپۍ یوسہٕ زاشرِس وۄڈِھ دِوان ۔
زاکھوٚب :۔ وُچھو "زاکلپوش" ۔
زاوار :۔ وُچھو "زادوہ"
زابر :۔ (مؤل: زابر) ۔ لیس دار آسُن، بتہٕ بیترِ سٮ۪ٹھاہ
نرم تہٕ بےٚ مزٕ روزُن ۔
زاپٹھ :۔ (ن۔ مؤل: زایٹ > س: جا > س: جن +
پٹھ) ۔۱۔ زہٹھ کتھ، زٕٹھر أوتھ کتھ ۔۲۔ تمہٕ
زٕچھ کتھہٕ یمو سٟتۍ کانٛہہ مٔزرادنہٕ ییہ ۔ کانٛہہ
مٔزرادنہٕ باپتھ یا ووتہِ أنٛہٕ باپتھ بڈٕ داستان وَغیرٕ ۔
زاپٹھ وَہرُن :۔ ووتہِ أنٛہٕ باپتھ موٗدرٕ تہٕ زہٹھ
ذُلیل وَغیرٕ ۔ کتھو سٟتۍ پھساوُن یا مٔزراوُن ۔

زاپھل :-(ن۔مؤل: زاپھل <پراکرِت: جاۄپھلہ <س: جاتی پھلہ )۔ا۔ اکھ مۄ یُس ہۄنس ہیتر لگان چھُ۔ یہِ مۄ چھُ شۄگوٗنہٕ باپتھ یاددوِ باپتھ کانٛسہِ رشتہٕ دارس دِنہٕ یوان۔۲۔(ورگہ پاٹھی) شیر ہٕنٛز تہٕ ہوکھہِ پھل ہیترِ یُس بڈٕ دوہہٕ اُشناوَن سوزنہٕ ییہ۔

زاتہِ سو باو :-(ن۔مؤل: زاتہِ سو باو <س: جاتہِ + سو بھا) زٕنٛج خصلتھ۔ پٕزکرتھ۔

زاتسمر :-(<: جاتہٕ سمر)۔ا۔ یُس پَتِمہِ زٕنٛجہِ کتھہِ یاد آسَن۔ ۲۔(ورگہ پاٹھی) سبٹھاہ ذہین تہٕ ہوشمند۔

زاتک :-(ن۔مؤل: زاتک <س: جاتکہ ) (جوتشہِ مۄجوٗب لیکھنہٕ آمُت ) زاوِ ۆتُر۔

زاتک کونڈج :- ٹیکنی۔ زاتکٕچ سو کونڈج یتھ اندر کانٛسہِ ہِندِ زینہٕ وقتہٕ کین گرٕہدَن ہنٛز اُنکہٕ وَن دِتھ آسہِ۔

زاتھ ا :-(م۔مؤل: زات <س: جاتہِ۔مُ:ع: ذات) ا۔قبیلہٕ کرٛون۔۲۔نسل۔۳۔سو باو خصلتھ۔

زاتھ بۄتھ تٕنۍ کڈٕنۍ :- جان تہٕ ناکارٕ سورٕ ے توٚن کڈُن، یعنی پاٹھی کانٛسہِ ہنٛزن ناکارٕ گین نمبر کرٕن۔

زاتھ گنٛز راونۍ :-(کانٛسہِ ہِندِ) نچہ ذاٗ ژھنٛڈ آسٕنۍ کتھ پھِرنۍ۔

زاتھ۲ :-(<س: جاتہ) زانٛہہ۔ بلکل، کٕنہِ وَقتہٕ۔ زانٛہہ کالہ۔ (اکھ پٕزون لفظ)۔

زاجہ اوبُر :- توٚن اوبُر۔ سُہ اوبُر ییٚمہِ منٛزی بسری یہ تارکھ تہٕ زوٗن ہیتر بوزنہٕ یوان آسَن۔ اوبرٕ زبل۔

زاجہ پکھور :- زاٗ اوٗرجہ گاسہ رَزٕ وٗنمُت نرم پکھور۔

زادِراہ :-(<ع: زاد+ف: راہ) وَتہٕ خرٛچ۔

زادٕ :-(ن۔مؤل: زاد <ف: زادہ)۔ زامُت، نٛچو۔ یہِ چھُ اکھ پوٚت لوٗگ۔ م: صاحب زادٕ۔ شاہزادٕ۔

زادٕگی :-(م:مؤل: زادٕگی <ف: زادہ+گی) ا۔ شیطانی۔ بدذاتی۔ رَذالتھ۔۲۔ رَل نوٚقص (ژامُت یا ژوٗمُت )۔

زاڈ :-(م۔مؤل: زاڈ <س: جَڈ) سُہ پتھ یا زٕمین یتھ پٕژتھ طرفہٕ پونٛی آسہِ پیوٚمُت۔ ییٚتھ پاٹھی پونٛی آسہِ پیوٚمُت۔ م: آبہٕ زاڈ۔

زارا :-(ن۔مؤل: زار <س: وٕٹ تہٕ+کارَیہ) ا۔ داو، تاسس، نردس، اکھکس ہیترِ منٛز پونسن گِندان۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) سو کام ییتھ منٛز کینہہ اتھِ ییٚچ پٕتھ آسہِ نہٕ۔ تیٚتھ گِندُن کرُن ییتھ منٛز آوتہٕ آوتہٕ گوتہٕ گو آسہِ۔

زارِ بٹھ :-ا۔ زار گِندن والین ہنٛز جماتھ۔ زاٗرٕ تو بِچ۔۲۔ سو ے جاے ییٚتہٕ زاٗرٕ زار گِندان آسَن۔ زاٗرٕ پینٛڈ۔

زارِ پو :- زار گِندنُک عادَتھ۔ زار گِندنٕچ پٕنٛزٕ کل۔

زارِ پینٛڈ :- سو جاے ییٚتھ زار گِندنہٕ آسہِ یوان (ورگہ پاٹھی) لفنگن تہٕ لُنڈن ہنٛز جاے۔

زارِ پھش :- زارِ طوٗفان۔ سخ زاریُس جل جل

یِیہِ گنڈنہ۔

**زارپو:**۔یُس زار گنڈُن پیشہِ آسہِ زاروان چلاوَن وول۔

**زارِ مَنڈِج:**۔وُچھو ''زارِ بتھ''۔

**زاروان:**۔زار گنڈنچ جاے۔زارِ پینڈ۔زار بٹھ۔

**زارِ ہارِ:**۔تم پوٗنسہِ یم زارِ پیٹھ زہنٛہِ مَتی آسَن، حراملکی پاٗنسہِ۔

**زار گنڈُن:**۔ا۔ داو لاگُن ،تاسَس ، نَردس یا چھکس ہیترِ منز پوٗنسن گنڈُن۔۲۔بیَس بہُن۔ (ورگہِ پاٗٹھی) وُساڈِس پیٹھ تراوُن۔شَرطس پیٹھ کانٛہہ کام کرٕنی۔

**زار۲:**۔(م۔مؤل: زار<ف: زار)عاجزی سان کینٛہہ وَنُن۔آرا نٛچہِ کتھ یا آواز۔

**زار بوزٕنی:**۔کانٛسہِ ہنٛدی اوحال ہمدردی سان بوزٕنی۔

**زار کرٕنی:**۔سبٹھاہ زار پار کرُن۔

**زار وَتنی:**۔بداد دِنی۔اوحال باوٕنی۔

**زار۳:**۔(<ف: زار)۔(پھولہِ وٕنَن یا سَر سبز گُلشن ہُنڈ) گُلُل۔م: سَبزار۔گلزار۔(یہ چھُ اکھ پٔوت لوٗگ)۔

**زارِ پارِ:**۔(ن۔مول: زارِ پار)۔مانٛزِ راونہِ موکھہِ عاجزی،غرض۔منتھ۔

**زارِ پار کرُن:**۔عاجزی کرٕنی ۔مِنتہ کرنہِ۔

**زاغ:**۔(<ف: زاک ۔زاغ)۔ا۔کاو۔۲۔ (ورگہِ پاٗٹھی) کرٕہُن ،گیٛشوم۔مِ:زاغہِ سوٗندر۔

**زافران/ زعفران:**۔(ن۔مؤل: زافران <ع: زعفران)۔کونٛگ۔

**زافرانٛی۔زعفرانٛی:**۔ا۔یَتھ کونٛگ آسہِ تراونہ آمُت۔ ۲۔کونٛگہِ رَنٛگہِ کیسری۔

**زاگ ا:**۔(م۔مؤل: زاگ)۔زووُرن۔زامتہِ دودٕچ رَٹھ یوسہِ اوم دود زووُرنہِ باپتھ تَتھ تراوان چھہِ۔

**زاگ۲:**۔(م۔مؤل: زاگ<س: جاگر) ژٔرژُن۔ نظرِ روزُن۔

**زاگے:**۔(م۔مؤل:زاگے<س:جاگر)۔ا۔بیدأری۔ ۲۔ کوٗس روزُن۔(یہِ وچھنہِ باپتھ زِکر باٗگ لگہِ یا پھٕہِ )نظرِ تل تھونٛچ کاٗم۔

**زاگُن:**۔(ن۔مؤل: زاگ<س: جاگرٕ) ا۔کوٗس روزُن۔وِچھنہِ روزُن۔ژٔرژنہِ روزُن۔ نظر تھوٕنی ۔۲۔ موقس پزارُن۔ وٚون تھوُن۔ ۳۔کانٛسہِ ہنٛدِس ژوٗر یا اَتُر ہیترِ کرنس نظرِ روزُن۔ہیتھ ژھانڈُن۔۴۔ سُہ چیز ہنہِ باپتھ موقس پزارُن یَتھ پیٹھ ٹورآسہ پیٛومُت۔ ۵۔رَتنہِ باپتھ ماے لاٗ گتھ روزُن۔

**زاگن جاے:**۔سو جاے یتھ کھٕٹِتھ روٗزِتھ ژوٗدا پور نظر روزِ۔

**زاگہِ بہُن:**۔کوٗس روزُن۔ژوٗرِ پاٗٹھی نظر تھوٕنی۔ ژٔرژنہِ بہُن۔

زاگہِ تھوُن :- کانہہ کانہہ رأچھ تھوُن۔ کانسہِ نظرِ روزنہٕ باپتھ کانہہ گنہِ جایہِ تھوُن۔

زاگہِ روزُن :- نظر روزُن۔ کوس روزُن۔ ژٲرِ ژنہٕ بہُن

زاگہ گرٛشھُن :- ۱۔ رأچھ روزنہٕ گرٛشھُن ۲۔ ژٲرِ ژنہٕ باپتھ گرٛشھُن ۳۔ بےٚ شوٗنکی پأٹھی رَٹنہٕ گرٛشھُن۔

زاگہِ ؤنی :- رأچھ کرنٕچ موٗزوٗری۔ رأچھ دیار۔

زاگ تھٲوِنی :- پوٗرِ پأٹھی نظر گذر تھٲوِنی۔ اِحتیاطہٕ ساں نظر تھٲوِنی۔

زاگ بیٚنی :- کوس روزُن۔ بےٚ شوٗنکی پأٹھی رَٹنہٕ باپتھ وُچھنہٕ روزُن۔

زاگرتھ :-(ن۔ موٗل: زاگرت<س: جاگرٛتہِ)
۱۔ ہُشیأری، ؤزِ آسُن (یِژ پأٹھی شب بیدأری)
۲۔ وُزِ آسنٕچ حالتھ۔ ہُشار آسنٕچ حالتھ۔

زاگلُن :- گانٛد۔ وومادٕ۔

زاگ نول :- ہیڈی۔ ڈَنگ۔ ہأنِگل۔

زال ۱ :-(ن۔ موٗل۔ زال<س: جالہٕ) ۱۔ تارَن وۄنی ہِژ جألی یِیمہٕ ستی گاڈٕ بیترِ رَٹان چھہِ۔ ۲۔ شِکار رَٹنٕک ژھل۔ ۳۔(ورگہِ پأٹھی ژوے۔ پھساونہٕ باپتھ فنٛد۔ ۴۔ وُٹھی وُٹھی تہٕ وُلِتھ مُلِتھ زَنٛد۔ گُنٛڈی زال بیترِ۔

زالس لگُن :- پھساوُن

زالہِ رَز :- گاڈٕ زالٕچ سو رَز یَتھ منہٕ پھٔلی وُرِتھ چھہ آسان۔

زال تال :- آٹٕژ واٹٕژ اَنہٕ باپتھ مچھ مچھ کتھہٕ۔

زال تڑاوُن :- ۱۔ شِکار یا گاڈِ بیترِ رَٹنہٕ باپتھ زال بُرِتھ دیُن ۲۔ (ورگہِ پأٹھی) تیُتھ کینہہ کرنٕک سٔزٕ کرُن یِیمہٕ ستی کانہہ پھساونہٕ یِیہِ۔

زال وَہرُن/ وَہراوُن :- ۱۔ شِکار یا گاڈٕ بیترِ رَٹنہٕ باپتھ زال بیترِ ترأوِتھ تھوُن ۲۔ (ورگہِ پأٹھی) تیُتھ کینہہ کرُن یِیمہٕ ستی کانہہ گنہِ منٛز ہینہٕ یِیہِ یا پھسہِ۔

زٲلی بأنس :- سُہ ہمہٕ تُل یَتھ اکِہ تالہِ گاڈٕ رَٹنہٕ باپتھ زال آسہِ۔

زٲلی پنٛجر :- جالہِ ہنٛز ہِش زأوِج کأم کٔرِتھ بٔچوٚ دأر۔

زٲلی ترٛوپ :- اَنٛزٕل۔ گاڈٕ کوٗنٛڈ۔ خاص قسمٕچ ٹیب یِیمہٕ ستی دون کپر ٹکرن ہِنٛدی ماوٕلی رَلاونہٕ چھہِ یوان، یِیمہٕ ٹیپہ پھٹے یَتہٕ پأٹھی دِنہٕ یوان یُتھ ٹھر ہِش بَنہِ تہٕ منٛزٕ منٛزٕ روزِ جاے یِلہٕ۔

زٲلی دار :- یَتھ اَنٛزٕل آسہِ۔ اَنٛزٕلی دار۔ یَتھ زٲلی ژٲنہٕ آسن آمٕتی۔ یَتھ جالہِ کأم آسہِ۔

زٲلی وانٛکہٕ :- مَس پارنٕک اکھ خاص طٔریقہٕ یِیمہٕ موٗجوٗب مسٕنس زٲلی دار پٔنٛگل ہیوٗ چھہ بنان۔

زال ۲ :-(ن۔ موٗل: زال<س: جالہٕ)۔ أچھن ہنٛز اکھ بیمأری یَتھ منٛز أچھن پَرٕ دِ چھ پیوان۔

زال ۳ :-(<س: زالہٕ) ٹہپہ کہِ زورٕ ستی وُٹھن دزانٕتی دانہٕ۔

زال ہ:-(حف: زال) بُڈ۔م :پپر زال۔

زالے:-ا۔زالُن۔نارس اَند رتۂ اوُن۔م ِ:ۆدِ زالے۔ ۲۔ (ورگہ پأٹھی) کُنہ چیژک بےٚ والہِ استعمال (دیٛارن ہُند آتش بازِپیٚٹھ)۔م ِ:دیٛارِ زالے۔۳۔ناردیُن۔م ِ:ہتھی زالے۔

زالا:-(م۔مؤل:زالا<س:جۆالا)۔ا۔ریٛہہ۔بڑیٛہہ۔ اَلاو۔جَم جَم۔۲۔اَکِس دیٛوی ہُند ناو۔دورگا۔

زالہٕ ستَم:-(م۔مؤل:زالہٕ ستَم <س:جوالا+سپتھی)۔ زالادیٛوی ہُند دوہ۔ پھاگنہٕ ژۆنہٕ پچھ ستَم۔

زالہ موکھ:-(ن۔مؤل:زال موکھ <س:جوالامکھی) سُہ بال یُس نارکُنہٕ کُنہٕ ژھٹان آسہِ یا ژھٔٹتھ ہیکہِ۔سُہ کوہ یتھ منٛز گنڈک بیترٕ آسہِ۔۲۔دور گاہِ ہُند اکھ ناو۔۳۔زالا دیوی ہنٛز تھاپنا۔

زالہٕ:-(م۔مؤل:زال<جوالہٗ)۔ا۔ترٕ۔۲۔تپہ کہِ زورِ ستۍ وُٹھن کھُتۍ پھٔکتۍ۔۳۔ملیریا، اَکہِ قسمُک بُخار یتھ گوڈٕ ترٕ کھسان چھےٚ۔۴۔ (ورگہ پأٹھی) خامخہٕ ہُکی لَند یشہٕ۔

زالہٕ آسنہِ:-(ہزلہٕ) سخ ترٕ لگٕنۍ۔

زالہٕ بُطچ:-سویوسہ ترٕ دِنان آسہِ۔

زالہٕ دِننہٕ:-اَستھ تہٕ نہٕ آسنکی بارو دِنۍ۔نُکو نہٕ آسنکی ژھرٕ ٹھ دِنۍ۔

زالہٕ دیو (آسُن):- ژرِ ترٕ ہارُنہٕ۔

زالہٕ کھَسنہِ:-ترٕ کھَسنہِ۔سخ ترٕ لگٕنۍ۔

زالہٕ لَد:-ا۔یُس موموٗلی ترٕ منٛز تہٕ اَلہٕ اَلہٕ اَژِ۔ ۲۔(ورگہ پأٹھی) یُس اَستھ تہٕ نہٕ آسنکی بارو آسہِ دِوان۔

زالہٕ ہارنہٕ:-وُچھو ''زالہٕ دِننہٕ''۔

زالہٕ ہِنہٕ:-ترٕ کھَسنہِ۔ترٕ ستۍ تھرٕ اَژنۍ۔سخ ترٕ لگٕنۍ۔

زالُن:-(ن۔مؤل: زال <س: جۆلَنہ) ۔ا۔ژۆکھ دیُن ،ناردیُن۔۲۔ (ورگہ پأٹھی) بیٛیِس اَزروُن اَنتھ ژُرٹُلُن۔تیُتھ کینٛہہ کرُن یِیمہِ ستۍ کأنسہِ أندری نار گنڈِ ،سخ پھوشہِ۔۳۔ژھوکھ دیُن۔۴۔داغ دیُن۔۵۔سُہ سامانہٕ یِیمہِ ستۍ اوگُن یِیہ دِنہٕ،بۆٹھ دیُن بیترٕ۔

زالَن کٹُن:-سوبچھ تِلم یِیمہِ ستۍ اوگنس زیٛر زیٛر دِوان چھِ۔دِژ کرُن۔

زام:-(م۔مؤل:زام<س: جامہِ) رِنۍ ہنٛز بیٛنہٕ۔

زأمتھ نوش:-زأم ہنٛز نوش۔زأمی ترٕ۔گوٚبرٕ ہنٛز زنانہٕ۔

زأمتھ نیچُو:-زأم ہُند نیچُو۔

زأمی/زأمیہ:-(ن مؤل:زأمی <س: جامہِ)۔ زأم ہُند روُن۔رِنۍ سُند یِیمہٕ۔

زأمی ترٕ گوٚبُر:-زأم ہُند نیچُو۔

زأمی زٕ:-زأم ہنٛز کوٗر۔

زأم بڑ اند:-تِمہٕ ہارِ بیترٕ یِیمہٕ نۆ مہرٕ نیٚ گوڈٕ نیچہ پھرِ وأرِوِ گرس اندر اَژنہٕ باپتھ زأم دِوان چھےٚ۔

زأم کا کنہِ :- پانہٕ وِنی زام تہٕ بےٚ کا ئکنی۔ زام تہٕ بےٚ کا ئکنی یا کا کنہٕ۔

زامَن :- (م۔ مؤل: زامن > س: جرِمبھنہ) تھکنہٕ، اَر پنہٕ یا نینٛدر رہوٚت آسنہٕ کِنی پانے اُس مُژرنہٕ پتھ شاہ ہیوٚن۔

زامن کرِنی :- (ورگہٕ) یَب کرُن۔ (کینہہ) نتھ کُرِتھ مَٹہٕ نہٕ ہیوٚن۔ مُ: ژاس کرِنی۔

زامنِن اَژُن :- ا۔ سخ تھکنہ سبب پوٚتُس پتھ زامنہٕ پنہٕ، نینٛدر کھسنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٚٹھی) دِلچسپی نہٕ روزِنی۔

زامُت دود :- اَمِس یا کاٚری مِتس دودس زوورُن ترٲوِتھ بناونہٕ آمُت موٚٹ دود۔

زامتُر :- (ن۔ مؤل: زامتُر > س: جاماتر) کورِ ہندرؤن۔

زامترِ ی بوٚگت :- ٹاچھرِ سان زامتری کیٚس وَنان۔

زامتُر گو پامتُر :- تہٕ ڈیٚتھ گو زامتُر چھُ اُخر کار منٛدِ چھاوان۔

زان :- (م۔ مؤل: زان > پراکرت: جان)
ا۔ پے۔ پتاہ۔ ۲۔ عِلم۔ گیان۔ ۳۔ وأقفیتھ۔

زان پچھان :- وأقفیتھ۔ خبر آسنی کیاہ یاکُس چھُ۔

زأنی :- ا۔ زانَن وول۔ ۲۔ وأقِف۔ اُشناو۔ ۳۔ کارس وأقِف۔ یَس کارتگان آسہِ۔

زأنی کار :- ا۔ یَس یتھ زان آسہِ۔ یُس وَنہٕ آسہِ، وِوٚد۔ وأقِف۔ ۲۔ سُہ یَس پَے آسہِ، پیہِ وول۔ باخبر۔

زانہٕ ناوُن :- ا۔ وأقِف کرُن۔ ژینہٕ ناوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٚٹھی) فکرِ تارُن۔

زانُن :- (ن۔ مؤل: زان > ویدک س: جاناتہِ)
ا۔ وأقِف گژھن یا آسُن۔ خبر آسنی۔ وِیوٚد آسُن۔ ۲۔ سمجُن۔ فکرِ ترُن، مانہٕ۔ مطلب سمجُن۔ ۳۔ پرٛزِ ناوُن۔ ۴۔ تگُن۔ م: یہٕ زلنہٕ ژھاٚنٹھ واتنی۔ ۵۔ ہیکُن۔ م: یہٕ زلنہٕ یہٕ ژُلتھ۔ ۶۔ شینٛگُن۔ ژینُن، م: مے زون کو ستام شہمتھ چھےٚ پکان۔

زانَن گژاکھ :- پیہِ وول، وأقِف کار۔ باخبر، یَس کتھ سمجنی تگہِ۔ یَس مانے ژارُن تگہِ۔ یَس مانے ژارُن تگہِ۔

زانَن وول :- وُچھو ''زانن گژاکھ''

زانٛڈ :- (ن۔ مؤل: زانٛڈ > س: ؟ جڈ)۔ ا۔ وُنل۔ وُنَر۔ سوا وبرِ زبل یتھ مژٕ بسری یہٕ صاف بوزنہٕ چھنہٕ یوان۔ ۲۔ ژھانٛپھ (اُچھن ہیترِ)

زانٛگل :- (ن۔ مؤل: زانٛگل > س: جانگلہ) اکہٕ قِسمُک جنٛگلی گُل یا اُمیٚگ زیٚن۔

زانٛہہ/زاہ :- (> س: جاتہ+ وِ) کُنہٕ وِزِ، کُنہٕ ساتہٕ۔

زانٛہہ کاٚلی :- ا۔ کُنہٕ وقتہٕ۔ کُنہٕ ساتہٕ۔ کُنہٕ دوہہٕ۔ ۲۔ خال خالے۔

زانٛہہ نَتہٕ زانٛہہ :- کُنہٕ نَتہٕ کُنہٕ وِزِ۔

زانٛہہ تہٕ :- ہرگز نہٕ۔

زاو :- (مؤل: زا > س: جاتہ)۔ (پوٚت لوٚگ) زامُت۔

مِ:سَدِ زاو

زاے:-(م۔ مؤل: زاے <س: جاتہِ )۔ا۔زیُون۔
۲۔(زیُون) پُے ۔۳۔زینگ شأدی یانہِ ۔ مِ:
پوٚترزاے۔

زایُن:-وراثھ۔ یہِ زَن زینہِ کِنۍ کأنسہِ کھسہِ۔
مِ:مأٹی زایُن۔

زُبوٗر،زَبوٗر:-(م۔مؤل: زَبوٗر<ع: زبور۔زبرکہ) آسمأنی
کتاب یوسہِ حضرت داوٗدؑ پێٹھ نأزِل سپز۔

ژبیٚل/زَبَل:-سُہ ژمین یتھ کأنی زَب یوان آسہِ۔
کھچٕل ژمین ۔ کرٕپڈن لد۔ یتھ ژمینس
وُزِنۍ آسہِ۔

ژبیٚل ژمین:-وُچھو "ژبیٚل"

ژٹ:-(م۔ مؤل: زَٹ <س: جیرنہ+پٹہ) ۔
ا۔ژھیوٗنمت پلو بیتر۔ سُہ پلو یتھ ہرٕ آسَن
گأمٕتۍ۔۲۔(ورگہِ پأٹھی) شُنگر۔ بےٚ وَقری۔

زَچَن پَچہ پھێر:-تہِ دُپتھ گو ژھێنۍ ہتین پلوَن
أندریم نمبر۔ پرانین پلون دٕج ترٛوپ۔

زَچَن نہٕ نال اتھہِ ہِنۍ:-تہِ دُپتھ گوسخ بانبر پێنۍ۔
وُتاوٗلی منز یرٛن پیوٚن۔ ژٕلہ لارِمژ نہ اتھ وتھ ہِنۍ۔

زَچہ پَچہ:->س: جیرنہ+ پٹہ)سأری پلو۔ پلو وَلو

زَچہِ پلو:-ژھێنۍ متۍ نألی ژھێنکی کپر۔

زَچہِ پُر:-ا۔سوٚ مَلمَلہِ چھل یَتھ ہرٕ وَژھمٕتۍ آسن۔
۲۔ (ورگہِ پأٹھی) تمہِ کُھٹتھ کتھہِ یمو ہِتۍ
مَنز چھاوَنہٕ یِیہِ۔

زَچہِ پُرٕ نوٚن گژھُن:-تم سرٕنۍ گژھنۍ یمو ہِتۍ
انسان منز چھاوَنہٕ یِیہِ۔

زَچہِ تلم:-ژھێنۍ مژ کپر ترٛ۔

زَچہِ ترٛ ونگ:-الانژ پِلہٕ وَٹہِ واریاہ زَچہِ۔

زَچہِ ژٹ پَچہِ پَٹ:-(زَچہِ ژٹ مِچہِ مئیٹ)
ہوس ہیوٗ، یتھے یوٗرٕ تیٚتھے اوٗرٕ (خاص سُرتھ ییٚتہِ
کأنسہِ ہِتۍ رِشتہٕ آسہِ کرُن۔)

زَچہِ شِکھر:-جَنٛدٕ پلو۔

زَچہِ گوٚر:-جَنٛدٕ گوٚر۔ زَچہِ ہینہِ وول۔ یُس زَچن
ہُند کار بار آسہِ کران۔

زَچہِ لوٚژھ:-وُٹھ مُنٛتھ واریاہ زَچہِ پلو۔ یتھ ہرٕ تہٕ
ربلہٕ آسَن وَژھمٕتۍ۔

زَچہِ نیرنہٕ:-ربلہٕ وَسنہِ۔ ہرٕ ہرٕ گژھُن۔ نأتی ژھنُن
لایق نہٕ روزُن۔ چأکرٕ وٕسنۍ۔ سخ پھٹلُن۔

زَچہِ ہُر:-یکہ وَٹہِ واریاہ زَچہِ۔ وُٹھ مُنٛتھ بُڈ پہن
ژٹ۔سوٗژٹ یوسہِ لوَن ہُر رٕنگو لأگرِ۔

ژٹ کرٕنۍ:-ا۔استعمالس لایق نہٕ تھوٗن (پلو بیتر)۔
۲۔(ورگہِ پأٹھی) خُجل کرُن۔ بُتھ دیُن لایق نہٕ
تھوٗن۔

ژٹ گژھنۍ:-خُجل گژھُن۔ چھِتہٕ گژھُن۔ بێیس
تھی شرمندٕ گژھُن۔

ژٹ موکلاوِنۍ:-تھپھ ٹلہٕ ناوِنۍ۔

ژٹ نالہٕ کڈٕنۍ :-۱۔ پانس پتھ نہٕ رژھ تہٕ ہیوٚن ۔
۲۔ ذِمہ واٲری تراوٕنۍ تہٕ تھپھ تلہٕ ناوٕنۍ ۔

ژر :-(م۔ مؤل: زَر<س: جَڈا) ۔۱۔ سو یوسہٕ گوٚب بوزان آسہِ ۔۲۔ یہ نہٕ وَزِ (سارن بیترِ)

ژری :-(<ف: ژری) ۔۱۔ طِلہٕ، سونہٕ تار۔ سونہٕ داو۔
۲۔ سونٕہری/سونہٕ ہٲری پَنگ ووٗنمت ۔ یَتھ طِلہٕ چھاونہٕ آسہِ آمٕت ۔

ژری پٲزار :- کھوربانہٕ یَتھ طِلہٕ چھاوُتھ آسہِ ۔

ژٕگنی :- زَگ دانیگ اَکھ قسم یَتھ پھوٚل نیگ چھُ آسان ۔

ژٕگر :- تم سٲری داں قسم یمن توملہٕ پھوٚل گوٚٹ ووزُل چھُ آسان ۔

ژُلیخا :-(م۔ مؤل: ژُلیخا<ع: زلیخا) زُلیخا۔ عزیزِ مصرٕ سنٛز زَنانہٕ یوسہٕ حضرت یوٗسفس عاشق اُس ۔ وُچھِو لفظ ''زُلیخا'' تہٕ ۔

ژِمستان :-(ن۔ مؤل: ژمستان <ف: زمستان) وَنٛد ۔ سَردی ہُنٛد موٗسم ۔ شینہٕ کال ۔

ژمین :-(ن/م۔ مؤل: ژمین <ف: زمین) ۔
۱۔ بُتھراتھ ۔۲۔ مٲدان، کھاہ ۔ ژج ۔۳۔ (وَرگہٕ پاٹھی) کپرُک بیترِ مَتن یَتھ پیٹھ پوٗش کھارنہٕ ین ۔

ژمینہِ پیٹھ :- زِ کنالہٕ ژمین ۔ بیاٚلی تر کھ ۔

ژمینی قند :- اَکھ موٗل یُس موٗدُر آسان چھُ، یہ چھُ نمبلن منٛز کھسان تہٕ کھنبس لگان ۔

ژمین آسمان کُنی کرُن :- تہٕ دُپتھ گوکُرزِ کہٕ نادلاگن ۔

ژمین دوز :-(مؤل: ژمین دوز <ف: زمین دوز) ۔
۱۔ ژمینہِ تَل، ژمینہِ تَلی ۔۲۔ یہ ہُد دِتھ بناونہٕ آسہِ آمٕت ۔

ژمین زراتھ :-۱۔ ڈوٗر یا پتھ بیترِ یَتھ پیٹھ فِصل وَونہٕ ییہ ۔۲۔ لاگنے ۔

ژمین واہِن :- فِصل وَونہٕ باپتھ ڈوٗرِس یا پتھس دانٛد لاگنۍ ۔

ژمیندار :-(ن۔ مؤل: ژمیندار <ف: ژمیندار)
۱۔ ژمینہِ ہُنٛد مٲلِکھ ۔ ژمینہِ وول ۔۲۔ گُمُیل ۔ یُس ژمین کماوِ ۔

ژمینداٗری :-۱۔ ژمینہِ وول آسُن ۔ ژمینُک مٲلِکھ آسُن ۔۲۔ ژمین کماوُنک یا کماوٕناوُنک کار ۔

ژٕنۍ :-(م۔ مؤل: ژٕنۍ <ویدک: جَنہٕ) زَنانہٕ ۔

ژنجیر :-(م۔ مؤل: ژنجیر <ف: زنجیر) ۔۱۔ ہٲنٛکل ۔ شُستر وی یا بیٚیہ کُنہِ داتچ رَز ۔۲۔ بیڑی ۔ ہتھکری بیترِ ۔

ژنجیر تراوٕنۍ :- ہتھکری ژھنٛنۍ ۔ پابنٛد کرُن ۔

ژنجیر کرٕنۍ :- بنٛد کٔرِتھ تھوَن ۔ بنٛد تھوَن ۔

ژنڈیٖل :-۱۔ زَنٛڈ ہیٚوٗہ ۔۲۔ فصلُک ڈکھ یَتھ کٲنۍ ہلیہِ نیران آسُن ۔

ژنٛگل ۔ (م۔ مؤل: ژنٛگل <س: جنگھا+اِں) لُٹھی کچ لُٹھِس منٛز زَنگہِ تَلی کڈتھ ہیتہٕ ٹُلُن ۔

ژنٛگی :-(ن۔ مؤل: ژنٛگی <ف: زنگی) ۔۱۔ حبش ۔

۲۔ورگہٕ پأٹھی) کانٛہہ کرٕہُن کٕتہٕ کال ہیٚوٕ انسان۔

ژٕہیر ژٕحیر:-(ن۔مؤل: ژٕہیر، ژٕحیر <ع: زحیر) اَکھ بیمأری یَتھ اندر سبٹھاہ پھرٕ لِنہٕ دارِ دستہٕ چھِ گوھان۔رتہٕ ژٕوگے۔

زٲج:-(م۔مؤل،زاج <س: جالہ)۔سُہ زال یُس زٕلر یا بیٛہ کانٛہہ کیٚوم وونہٕ۔

زٲج بٔنی:-(وَرگہٕ) شکس یُن۔

زٲڈی ہَپر:-اَکھ بۄٹھ یوسہٕ نَمبلہٕ ژٕمٔپٕنس وُسنی کھسان چھےٚ۔ناگہٕ ہَپر۔

زٲڈی ناو:-سۄن پاں دوب یا سَنبر (یُتھ زَن یہ ڈٕپی زِ تہٕ ناوٕ ہکلنس پکِتھ) آبہٕ ڈانٛجہٕ۔

زٲری:-سخ زارٕ پار۔

زٲری:-(ن۔مؤل: زٲری <س: دیوٗتہٕ کار) یُس زار گندِ۔

زٲری پوٗن:-یہٕتہٕ زٲری روزان آسہٕ۔

زٲری پینڈ:-زار گندنچ جاے۔

زٲری کھوٚر:-(وَرگہٕ) سبٹھاہ کمینہٕ۔رٕذیلہٕ۔

زٲژل:-رٕتہٕ خانداٗنک۔جان گرٕ۔۲۔رٕتہٕ نٔسلُک۔ چھأنی دار بیول بیترِ۔

زٲ گی شور:-(ن۔مؤل: زٲ گی شور <س: تجنشور)

۱۔تمہٕ نقشہٕ ہی یم دِ گونس یا میکھلہٕ پٹھ بٔنہٕ بۄ ژِتالہٕ بیترِ بٕرٕمس اَتھِ بناوٕناوان چھےٚ۔ٹیکہٕ تال۔

۲۔سوگونٛڈج یوسہٕ مَرید (چوٗنہٕ) ستیٚ اُگنس

بروٗنٹھ کنہٕ ژٕ اوان چھِ۔

زٲلی پٔنجرٕ:-وُچھو۔"زالؔ" لفظس تل۔

زٲلی پیر:-وُچھو "زالؔ" لفظس تل۔

زٲلی دِنی:-وُچھو۔"زولؔ" لفظس تل۔

زٲلی وأنگہٕ:-وُچھو "زالؔ" لفظس تل۔

زٲلی وأنگہٕ پارنہٕ:-وأنگن پٔتُل کرُن۔ (ورگہٕ) مَستَس پھٕتہٕ پھٕتہٕ کرُن۔ نچہٕ نچہٕ وانگہٕ پارنہٕ۔فأشی مَس پأرُن۔

زٲمیہٕ:-وُچھو "زام" لفظس تل۔

زٲن:-(م۔مؤل: زٲن) ڈٲلی۔تھَپہٕ دارٕ ٹوٗ کر۔

زٲنتھ مأنتھ:-دیدٕ دأنستہٕ۔بےٚ شوٗنکی پأٹھی نہٕ۔ بۄزِتھ شوٗ ژِتھ۔

زٲنہٕ:-بڈ شاہ صأبُن ژھوٚٹ ناو۔بروٗنہہ لگی پأٹھی یمن ہوبن لفظن منٛز یوان: زٲنہٕ کٔڈل۔ زٲنہٕ گیر بیترِ۔

زٲنی:-یُس وَنہٕ آسہٕ۔یَس ستیٚ وأقفیتھ آسہٕ۔دیوٗد۔ وُچھو "زان" لفظس تل تہٕ۔

زٲنٛپ:-(ن۔مؤل: زانٛپ) گُرر۔کٔسٹم چوٗکی۔چنٛگی۔

زٲنٛپانہٕ:-(ن۔مؤل: زٲنٛپان <س: جمپان۔مُ۔ہ/ بنگالی جماپان) ڈوٗلی۔

زٲنٛپٹ:-زُو دارَن ہٕنٛز زٕری یاتھ۔مِ: زَن نہٕ تہٕ زٲنٛپٹ۔

زٲویٖل:-(ن۔مؤل: زٲول <س:؟جیوا ترٕ کہٕ)

۱۔ یہِ یایُس نہٕ موٗٹ آسہِ۔ تونُوکھ۔ ۲۔ تون۔ اُوٗیُل۔

زٲوِج/زٲئیم:۔ ز'' اُویُل' لفظُک ماد۔

زٲوِج گسر:۔ کاژھ

زٲویُل کھیوٗن:۔ (ورگہٕ پٲٹھی) نٕخرٕ گٔری گٔری کھیوٗن۔ کھنبس اَندرنہٕ وُژھ کرُن۔

زٲویُل ماملہٕ:۔ تژھ کانٛہہ کتھ یتھ پٹھ سبٹھاہ بوزشوژ پیٚیہِ۔

زٲوی جار:۔ ۱۔ زٲویُل آسُن۔ نوزکی۔ کتھِ یا مٲملس وارٕ پٲٹھی سٕنتھ دَل۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) نزاکتھ۔ نفاست۔ ۳۔ (ہنڈٕ پٲٹھی) کٲکل۔ کٲرِستٲنی۔

زٲوی جارٕس ورٕ سہِ دِین:۔ تہِ ڈیٚتھ گوزٲویلبن مٲملن اَندربٕلی زٕ نگ ژھٕنٛنی۔

زٲوی جار ہاوُن:۔ (ورگہٕ پٲٹھی) کٲکٕگی کرٕنی۔

زٲوی یہِ:۔ (ن۔ مؤل:زٲوی یہِ <ع:زاویے) کوٗن

زٲہد:۔ (مؤل: زٲہد <ع: زاہد۔ زہدکہ) ۔ ۱۔ پرہیزگار،یُس دُنی یہِک طمع آسہِ نہٕ۔ ۲۔ خوشکھ اِنسان۔

زٲید:۔ (<ع:زٲید۔ زیدکہ) ژور،ہُر یمانہٕ۔ پیٚٹھی۔

زٲیر:۔ (<ع:زٲیر<زور)۔ زیارتھ کرن وول۔ کُنہِ درگاہس پیٹھ یِنہٕ وول۔

زٲیل:۔ ضایہٕ۔ اَتھِ اَندرگومُت۔ نہٕ واتنہٕ کنی رووُمت۔

زٲیل گژھُن:۔ ۱۔ ضایہٕ گژھُن۔ اَتھِ منٛز گژھُن۔

۲۔ (قوتوٗنی) (نہ واتنہٕ کنی حق بیتر) راوُن۔

زِپھ:۔ (م۔ مؤل: زِپ)۔ زولہٕ، اُچھ پیٹھ اُچھ۔

زِپَن اَژُن:۔ ۱۔ (بمارِ بیترِ کنی تھکنہٕ کنی یا زیادٕ اَسنہٕ ستی) نیٚنٛدرِ تہٕ نیٚنٛدرِ رٕنی۔ ۲۔ کمزور گژھُن۔ الُرٕ ھیُن۔

زِپہٕ کرُنہِ:۔ ۱۔ نیٚنٛدرِ ٹھولہٕ گژھنہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) کامہِ نہٕ واتُن۔ آلُرٕ ھیُن۔

زَپھ گژھنی:۔ ۱۔ نیٚنٛدرِ ٹھول گژھنی۔ اُچھ پیٹھ اُچھ گژھنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) دیان ڈلنہٕ کنی پھیٚرٕنی۔ غفلتھ گژھنی۔

زِتش:۔ (ن۔ مؤل: زِتش <س: جیوتِش) جوتِش۔ تارکن ہُند عٔلم زانن وول۔ یہِ چھےٚ کاشرٕ بٕن ہنزٕ اکھ کرٛام تہٕ۔

زِتنی:۔ (م۔ مؤل: زِتنی <س: دیپتہ/دیوٗت) ۱۔ تنبر۔ ۲۔ رٕژھامویا کٔنیک حوصلہٕ یا گاش۔ کم کاسہٕ گنٛج وٲقفیتھ۔

زِتنہِ کیوٗم:۔ اکھ کیوٗم یُس اَنہِ گٹس منٛز زوتان چھُ۔

زِتنہِ گاش:۔ ۱۔ نٔیک نٔیک گاش۔ سُہ گاش یتھ منٛز صاف بوزنہٕ آسہِ نہٕ یوان۔ ۲۔ رٔڈِ گاشہٕ زٕژ۔

زِتنہِ لاٹھ:۔ موہر لاٹھ۔ شیشہ لاٹھ۔ سو سلولایڈچ پٔٹ یوسہٕ پیٚٹھی مہِ لاٹھ بدل تٔرنکس لاگنہٕ یوان چھےٚ۔

زِتینڈرے:۔ (ن۔ مؤل: زِتینڈرے <س: جیتیندریہ) ییٚمی یٔنڈرے آسَن زیٚنہٕ متی۔ یَس نفسس پیٹھ قوٗ آسہِ۔ یَس نفس گنڈس آسہِ۔

زِتی اوٚن:-۱۔اَنیٖرِ۔ی۔س نہٕ پۆرِ وَہرٕ اُتھ اُچھ آسَن۔
۲۔اوٚن آسنُک اُکھِتھ ماُکتھ باس دِنہٕ وول۔
زِتی اَنبر:-اُکھِتھ ماُکھتھ اوٚن لاگُن۔
زِٹھ:-(م۔مؤل: زِٹھ<س: جیشٹھ)۔زیٹھ لفظک مادٕ۔وُچھو"زیٹھ"
زِٹھاَنی:-(م۔مؤل، زِٹھاَنی<پرٕکرت: جیٹھانی<س: جیشٹھ+آنی)۔(ہزٕلہٕ) زِچھرس درٕ سہٕ دِنہٕ واجینٕۍ۔بڑ دبدلاگن واجینٕۍ۔
زِچھر:-(ن<س: جیشٹھ)۔وٲنسہِ کنٕۍ یا روتبہٕ کنٕۍ بۆڈ یا تھوٚد آسُن۔
زر:-ژَپہٕ ہنٛز بناوٕنہٕ آمٕژ سو تار یوسہٕ رباب بیترِ گنڈِتھ چھےٚ آسان۔
زِراتھ:-(ن۔مؤل: زرات<ع: زراعۃ۔زرع کہ) ۱۔سو زمیٖن یتھ فصل ووپدان آسہِ۔۲۔لاگنے۔ زمیٖن کماونٕچ کٲم کوٚٹ۔
زِرِش:-(م۔مؤل: زِرِش)۔ہو کھناوُنہٕ اُکھ سیٚنٛج دَہھِ ذاتھ۔
زِرٕ/زِرہ:-(ن۔مؤل: زَر<ف: زرہ)۔شُستہٕ و پوشاکھ یُس جنگس منٛز سپاہ بیتر لاگان اُسی۔
زِرٕ بکتر:-وُچھو"زِرٕ"
زِشٹ:-(م۔مؤل: زِشت<س: رشٹھ) ژندرمہٕ منٛڈ لِکہٕ اَرداُہمہٕ گرٕک ناو۔
زِشٹھا:-(م۔مؤل: زشٹ<س: رشٹھ) اَکس دیوی ہُند ناو، یہ چھےٚ شِکسٕچ دیوی۔
زِکھ:-زِپر۔دَکہٕ (خاص کٔرِتھ زالِنس)
زِکھ زِکھ:-۱۔زِپر زِپر۔ترٕنگ ترٕنگ۔۲۔(ورگہٕ پاَٹھی) سوٚت سوٚت کٲم (کرٕنی)
زِگ:-(مؤل، زِگ)۔زار۔نرٕد۔
زِلزِلہٕ:-(ن۔مؤل: زِلزل<ع: زلزلۃ)۔۱۔بُنیُل۔ ۲۔(ورگہٕ) خوف۔تھرٕ۔لرٕز۔
زِلزِلہٕ اَژُن/ووتھُن:-خوف اَژُن۔ترٕہرُن۔
زِلزِلہٕ ژاٹُن/ژاٹُن:-ترٕہراوُن۔تھرٕ ٹلٕنۍ۔
زِناہ:-(ن۔مؤل: زِناہ<ع، زنا)۔وۄپر مَردٕ سنٛز وۄپر زنانہِ ستی ہم بستری۔
زِنابل جبر:-(زِنا بالجبر)۔وۄپر زنانہِ ستی تسنٛزٕ مرضی خلاف (جبرن) مَردٕ سُند ناجائز کرُن۔
زِناَے:-یُس زِنا آسہٕ کران۔بدماش۔
زِنہٕ ہُک:-حرامُک۔
زِندانہٕ:-(ن۔مؤل: زِندان<ف: زِندان)۔باَندی وان۔قاَدخانہٕ۔جیل۔
زِندانس لدُن:-۱۔قاَد لدُن۔۲۔(ورگہٕ پاَٹھی) سختی اَندر تھوٚن۔سخ سزا دیُن۔
زِنداَنی:-(<ف: زِندانی)۔قِدی۔یُس قاَدس منٛز بند آسہِ۔
زِندیٖق:-(<ع: زِندیٖق)۔۱۔مُرتد۔اِسلام قبوٗل کٔرِتھ یُس بیٚیہ پَنہٕ نہٕ ہےٚ دیٖنس کن پھیرِ۔

۲۔ سخ ظالم۔بےٚ رحم۔

زِنٛدٕ:-(مؤل: زِنٛد <ف: زِندہ) ۱۔ یتھ زُو آسہِ۔ یَس شاہ کھسان آسہِ ۔۲۔ نیٚؤل سبنہٕ نَے۔ مِ:ہاکھ چھُ وُنہِ زندے۔ ۳۔ وُڑھ دول۔ ۴۔خوش مزاج۔

زِندَس دِمے نہٕ سوٚرساس مُرِتھ وَلے اُطلاس:- یہِ چھِ لوٚکن ہِنٛدِس مورد پرست آسنس پیٹھ ونان۔

زِنٛدٕ باد:-زِندہ باد۔۱۔(اَہی) لَس وارِ وَتہِ آس۔ ۲۔شاباش۔

زِنٛدٕ دِل:-یُس اَسہِ وِنہٕ ہونٛجہٕ کتھ کرِ۔ خوش مزاج۔یُس اَسہِ ناوِ گنٛدٕ ناوِ۔

زِنٛدٕ دِلی:-خوش مزاج آسُن۔

زِندوٗر:-(ن۔مؤل: زِندور <س: سِندوٗر) وۄزلہِ رَنٛگہٕ اکھ خوشبودار پوش۔

زِندگی:-(م۔مؤل: زِندگی <ف: زندگی) ۔۱۔زُو۔ ۲۔ واٴنس ۔ وُمر۔ آے۔ حیاتی۔ ۳۔(ورگہٕ پاٹھی) خوش دِلی۔ ۴۔(اَہی) بندگی، (سلامہٕ زِٹھی سُنٛد جواب۔

زِنٛدٕ گانی:-وُمر۔ واٴنس۔ ۲۔حیاتھ۔ زیٚتھ واٴنس۔

زِنٛگرٕ۱:-(م۔مؤل: زِنٛگر <؟) تاو۔ ژھوکھ۔

زِنٛگرٕ اَژنی:-نظرٕ کِنی لرزٕ اَژُن۔

زِنٛگرٕ۲:-پٮ۪نٛچ زیٚہہ بیترٕ ییٚتہِ پیٹھ ڈسی پینک خدشہٕ آسہِ۔

زنگرُن:-(ن۔مؤل: زِنگر) ہکھتھ نہٕ روزٕنی۔لوٗسُن۔ ژھوکُن۔

زِنٛگر یوٗمُت:-۱۔ یَس نہٕ ہکھتھ روٗزمُت آسہِ۔ سوٚتیوٗمُت (جسمہٕ کِنی) ۔۲۔ ترٕ بیترٕ ستی ہُرتھ پیوٗمُت (تیوٗر)

زِنٛگلُن:-(ن۔مؤل: زِنٛگل <؟) ۔۱۔ ہوکھُن۔ لوٗسُن ۲۔ زِپَن اَژُن۔

زیارتھ:-(م۔مؤل: زیارت <ع: زیارۃ ۔۱۔ سو جاے ییٚتہِ کاٴنسہِ بُزرگہٕ سُنٛد روضہٕ یا کینٛہہ توبرک آسہِ۔ اَستان۔ ۲۔ حج۔ ۳۔ دیدار۔ دَرشن۔

زِیارتھ کرٕنی:-دیدار کرُن۔ کاٴنسہِ کاٴنسہِ بُزرگہٕ سُنٛد توبرکھاوٕ چھُن۔ گُنہِ دَرگہس پیٹھ گژھُن۔

زیارتھ گاہ:-ییٚتہِ زیارتھ کُری زِ۔ اَستان۔

زیارتھ ہاوٕنی:-کاٴنسہِ بُزرگہٕ ہِنٛدِ گُنہِ توبرکُک درشن کرناوُن۔

زیارتس گژھُن:-کاٴنسہِ بُزرگ ہِنٛدِ گُنہِ تبرکُک دیدار کرنہٕ باپتھ گژھُن۔ ۲۔ حجس گژھُن۔

زی/ زِے:-م۔(<س: یِتہِ جیہِ کہ) کماٴے۔

زی چھےٚ ہی:-کمایہِ ستی چھُ انسان پھولان۔

زِی کُل:-کماوَن وول۔ کمایہِ کُل۔

زٕٹھ:-"زیٚٹھ" لفظُک ماد۔ وُچھو "زیٚٹھ"۔

زٕٹھ پٹھ:-م۔مؤل: زٕٹھ پٹ <س: جیشٹھ+ جاپٹہ) سو ڈیٖل یوسہِ واریاہ بڈٕ آسہِ تہٕ مانہٕ

مطلب آسبس نہٕ۔

زٲٹھرَن:-(م۔مؤل: زٲٹھرُن)۔ا۔زیچھر۔طوالتھ۔
۲۔زیچھر دیُن۔۳۔سوہن یوسہٕ زٲٹھراونہٕ باپتھ
پُشہِ ییہِ تٕھننہٕ۔پُشرَن۔۴۔(ورگہٕ پٲٹھی) راد
وَنٕنی۔کتھہِ طوٗل دیُن۔

زٲٹھرن دِنی:-کتھ طوالتھ دِنی۔نیاے بیتر زٲٹھراوُن۔

زٲٹھراوُن:-(ن۔مؤل: زٲٹھراو) زیوٗٹھ کرُن۔
۲۔طوالتھ دِنی۔

زہرا:-(م۔مؤل: زہر<ویدک س: جیر)ا۔لوٗت
دَکہٕ۔۲۔عادتھ۔کُنہِ چیزُک مَرضہٕ۔چیٖکہٕ۔مِ:
مُتِس چھےٚ بٔنیٖ زہر۔۳۔(کُنج) گَلَن۔پرُش۔
۴۔ناوپکہٕ دِنی تھاوٕنی۔۵۔ہس (دیُن)۔ژھٕج

زہر تھٲوِنی، رَٹٕنی:-ناوپکہٕ دِنی تھاونہٕ باپتھ کھوٗر یا
ہم تُل رَٹُن۔

زہر دِنی:-ا۔لوتہِ دَکہٕ دیُن۔۲۔ٹُلُن، وُزناوُن
(لڑایہ بیتر باپتھ)۔شرارتھ کھارن۔وُتش دیُن۔

زہر زہر کرِنی:-ا۔ٹُلُن۔وَدنس کھارُن۔۲۔کُنہِ ستی
سیتھ کرِنی۔ژھٕرٕھ دِنی۔

زہر گژھنی:-ا۔عادتھ گژھن۔چیٖکہٕ اژنی۔پبد اژنی۔
۲۔(ورگہٕ پٲٹھی) کُنہِ کُن شِکلی گنڈِنی۔

زہر۲:-(م۔مؤل: زیر<ع: زیر)۔ا۔نَرم تہٕ میٹھ
آواز۔تال۔سرگم۔۲۔وٚوصوٗل دُھنہِ اتھہٕ چہٕ
مُنزی مہٕ اُونگجہٕ ستی واین۔م: بَم

زیر و بم:-(ن۔مؤل: زیر و بَم<ع: زیر+ و+ف:
بم)۔صوٗفین ہنٛدِس اِصطلاحس اندر نفی اثباتھ
عَملہِ منٛز شِہٕنک کھسُن وَسُن۔سازٕچ کھسہٕ وَس۔
طبلہٕ جوٗرہٕ۔وٚوصوٗلکی زٕ طرف۔سنگیٖتس منٛز لیہٕ
ہُندٕ اٲتی تیزُن تہٕ اٲتی سوتُن۔شِہٕچ کھسہٕ وَس۔

زیرَک:-مؤل: زیرک<ف: زیرک)۔ا۔گاٹُل۔
۲۔عَقِل مند۔۳۔(ہزلہٕ پٲٹھی) کٲکہٕ۔گاٹہٕ
جارس درٕسہٕ دِنہٕ وول۔گاٹہٕ جار ہاوَن وول۔

زیرکی:-ا۔گاٹہٕ جار۔۲۔(ہزلہٕ پٲٹھی) کٲکہٕ گی۔

زیرکی ہاوِنی:-(ہزلہٕ) بٔلی کٲکہٕ گی کرِنی۔

زیرَن:-(<س: جیرنہٕ)۔ا۔بُڈ۔۲۔وودر یوٗمُت۔
بوسیدٕ۔گسہٕ آمُت۔

زیری گوگُل:-اکہِ قسمُک گُل یتھ مؤلس گوگُل چھُ
آسان، یہ چھُ کھنبس لگان۔

زہن:-(ن۔مؤل: زہن<ف: زین) کٲٹھی۔

زہنہٕ پلو:-سُہ پلویُس زینس تل تہٕ گُمہٕ دَجہِ پیٹھ
چھُ آسان۔عرق گیر (عاَرق گیر)

زہنہٕ کٲٹھی:-ہچو زہن۔

زہن چارُن/ گنڈُن، لدُن:-گُرِس سوارِ باپتھ
زہن گنڈِتھ تھوُن۔

زہن کرُن:-(ورگہٕ پٲٹھی) نکھس کھسُن۔
زٕرَو لدُن۔گُر کرِنی۔

زِینتھ:-(م۔مؤل: زینَت <ع: زینۃ) شوٗب،

سجاوٹھ۔رونق۔

زہنہٕ:-(ن۔مؤل: زہن<ف: زنیۃ)۔ ہیرِ ہُنٛد پیٹھُیم کھُلہٕ پوو۔چانٛد۔

زہوا:-(ن۔مؤل: زہو<س:جیو)۔یُس زُو آسہِ، زُو ذاژ منٛز کانٛژھا۔جاندار۔

زہو زاتھ:-زُوزاتھ۔زُودار۔جاندار۔

زہو گاتھ:-زُو دار مارُن۔ جاندارس زُو ہیوٚن۔ قتٕل کرُن۔

زہوَن:-(ن۔مؤل: زہون<س:جیونہ)۔زندگی، زندٕ روزنٕچ سٕبیل۔گذارٕ۔گذارُن۔

زہوَن موکھُت:-(ن۔مؤل:زیون موکھُت<س: جیونہ مُکتہٕ)۔زِندٕ زُوے تیمِ نجاتھ لوٚب۔

زہو ادان:-(ن۔مؤل: زہو ادان<س: جیوادانہٕ) مُرِتھ زندٕ کرُن۔زندگی ہنٛز بخشائش۔

زہو ادأنی:-یُس دُبارٕ زِندٕ کرِ۔یُس زِندگی بخشان چھُ، تہٕ دٔپتھ گوخوداے۔

زہوتھ:-(ن۔مؤل: زہوت<س: جیوتو)۔زہو آسنٕچ حالتھ۔

زہو ونت:-یوٚ تامتھ زِندٕ چھُ۔زندگی تام۔

زہو آتما:-(ن۔مؤل: زہو اتما<س: جیو اتما)۔ رُح۔آتما۔

زٕ:-(<ویدک۔س:دوٚ)۔اکھ جمع اکھ۔اکہِ کم ترٕے۔

زٕتووُہہ:-(<س:دواوِشتِہ)وُہہ تہٕ زٕ۔زٕ ذٔہ تہٕ زٕ۔

زٕٹھ گٕژھنی:-زارس اَندر زینٛس پیٹھ وأتتھ پھٕٹنٕی۔

زٕج ا:-(م۔مؤل:زٕج)۔اکہِ قسمُچ ٹوپل ربے۔

زٕج لاگنی:-کأنٛسہِ زٕلنس پیٹھ روزُن۔پأنٛسہِ ٹِنکہِ رنگہِ کھُہنس پیٹھ روزُن۔

زٕج ۲:-(م۔مؤل: زٕج<ع: جذبہ)۔۱۔ باج۔ جُزیہ۔ٹیکس۔۲۔بَتھ۔

زٕج لاگنی:-ٹیکس لاگُن۔کینٛہہ ہتھ زٔلنہٕ خاطرٕ پیتہٕ روزُن۔

زٕج ہینی:-۱۔ جُزیہِ ہیوٚن۔ باج ہیوٚن۔ٹیکس ہیوٚن۔۲۔(ورگہِ پأٹھی)بتھ ہینٛی۔

زٕجرُن:-۱۔زٕلُن۔دبل ٹلُن۔۲(ورگہِ)تنگ اَنُن۔

زٕداو:-سہٕ مؤٹ پَن یتھ زٕ لرِ وُٹھتھ موم دِنہٕ یوان چھُ تہٕ یُس کھور بانہٕ بیتر بناونس چھُ لگان۔

زٕرَو:-۱۔اَزمائش۔غم لدُن۔نکھس کھسُن۔۲۔ ژالُن۔

زٕرَولدُن:-ہلُن۔نکھس کھسُن۔بزادُن۔

زٕروٚئین:-نکھس کھسُن۔گنہِ کتھِ ہلُن۔بزادُن۔ کأنٛسہِ ہُنٛد ناجأیز فأیدٕ تُلُن۔

زٕرناوُن:-(ن۔مؤل:زٕرناو)۔۱۔ژالُن۔وبتراوُن۔ برداش کرُن۔۲۔گنہِ جایہِ قرار کرنہٕ دِیُن۔ بیٛہہ دیُن۔

زٕروُن:-(ن۔مؤل: زٕرو) ژالُن۔ برداش کرُن۔ تھوٚنہٕ یاروزنہٕ دیُن۔م:أچھ پیٹھ مُچھنہٕ زٕروٕنی۔

زٕژ:-(م۔مؤل: زٕژ<س: دیوت)۔ گاشہٕ زٕکھ۔ پرٕزٕو۔چمکھ۔

زِ کہٕ رٔٹنۍ :- أندری کینہٕ رٔٹُن ۔ کٔیُل آسُن ۔

زِل :- (ن ۔ مؤل: زِل <پراکرت: چھلہ) ۔ا۔ کھہ (نمو یا بیٚیہٕ کُنہِ تیز تیٚنتھی دار چیزٕ سٟتی لوٗ گمُت یا وولمُت) ۔۲۔ زورٕ تچھنہٕ سٟتی گومُت نِشانہٕ ۔ خراش ۔۳۔ دبل وو تھنگ نشانہٕ ۔

زِلہٕ بۆک :- پانژِ وٕ ے اونگجو سٟتی وألی ہتی زِل ۔

زِلہٕ پۆترٕ :- ا ۔ وُچھو زِلہٕ بۆک ۔۲۔ یُس زِل دیہِ ۔

زِل والُن :- (ورگہٕ) وو ہلأ وِتھ نیٚن ۔ زورٕ جبر کٔرِتھ نیٚن ۔

زِلَن :- (م ۔ مؤ: زِلن <پراکرت: چھلّہ)

سوٗمی بیترٕ ییٚمہٕ سٟتی کُنہِ بانس وانس سمیٚومُت مَل وَل تچھنہٕ ییِہ ۔

زِلُن :- (ن ۔ مؤل: زِل <پراکرت: چھلّہ) ۔ ا ۔ تچھن ۔۲۔ دبل ٹلُن ۔ مِ: ژۆنٹھ زِلُن ۔ ۳۔ تچھ تچھ نیک کرُن ۔۴۔ (ورگہٕ پأٹھی) نیٚتھ ہیٚنۍ ۔

زِل وال :- سوٗد ہیٚس بیترٕ منٛز کُشدٕ گرٕی یا لکھر لاگن دول ۔ ژۆر تچھن وول ۔

زِلہٕ والٕے :- کُشدٕ گرٕی ، لکھر (سوٗد ہٕس بیترٕ منٛز) ۔

زِ ہ :- (م ۔ مؤل: زِ ہ <س: دٕہہ) ۔ نمبر ۔ زِتنۍ ہش یوسہٕ نارس زیر دِنہٕ سٟتی چھےٚ ووتھان (عموٗمن یوان جمع پأٹھی ورتاونہٕ)

زِہہٕ :- (م ۔ مؤل: زِہہ <؟ ۔ س: جَش) ژکھ ۔ شرارتھ ۔

زِہنۍ نہٕ :- زانٛہہ تہٕ نہٕ ۔ ہرگز نہٕ ۔ کُنہِ ساتہٕ تہٕ نہٕ ۔ کُنہِ صوٗرتس منٛز نہٕ ۔

زُبد :- <؟ ع: زُبدة) ۔ا۔ سخ تیز تژ وُش ۔ وُگر ۔ وُلٹہٕ ۔ ۲۔ ژپٕل ہٕ ژیل (ہوٗن بیترٕ) ٹپل (گُر بیترٕ) ۔

زُر :- (ن ۔ مؤل: زُر <س: دُہتٕرِ + پُتر) ۔ کورِ ہُند شُر ۔ کُنہِ کُنہِ چھہِ پُترس تہٕ ونان ۔

زُرٕ پُترٕ :- کورِ ہندی تہٕ نیچِوی ہندی شُری ۔

زُرٕ کرم :- کورِ ہندِس نیچِوی سُند بُڈی بَب نہٕ آسنہٕ کِنۍ تیٚسُندِ طرفہٕ کرٕ یا کرم (کرن) ۔

زُرٕکی :- (م ۔ مؤل: زُرکی <؟ ع: زرق) ژُچ ۔ زہر ۔ پام ۔ ہس ۔

زُرہأمی :- (ل ۔ م ، زُرٕ ہأمیک ۔ اکھ ٹنگہٕ ذاتھ ۔

زُکام :- (ن ۔ مؤل: زکام <ع: زُکام: زکم کہ)

نزِل ۔ (نستہٕ) شرُک درٕک ۔ نَس پشپٕنۍ ۔

زُلیخا :- (م ۔ مؤل: زُلیخا < ع: زلیخا) ۔ا۔ عزیزِ مصرٕ سٟنز زنانہٕ یوسہٕ حضرتِ یوسفسؑ عاشق اُس ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) ۔ سٟتھاہ رَمبہٕ وٕنی تہٕ مأرٕ منٛز زنانہٕ ۔

زُلال :- صاف تہٕ موٗدُر آب ۔

زُلف :- (ن ۔ مؤل: زُلف <ف: زُلف <ع: زُلف) مَس لَنگ ۔

زُلفِ پیچان :- کأوٕ دار مَس لَنگ ۔

زُمت :- (ن ۔ مؤل: زُمت <س: جوتہ) اڑٕ پوک ، پۆہٕر سبنہٕ نٕے ۔

زُنار :- (ن ۔ مؤل: زُنار <ع: زنار) ۔ یونہٕ (یُس نألی

ترٛاوان چھِ )۔

زُنارٕ ژھٹُن:۔سٕۄنٛدِتھ لگُن۔بلایہٕ لگُن۔چھپہٕ لگُن۔ترٛآلونہٕ

زُو!:۔(ن۔مؤل: زُو > س: جیو)۔ا۔پرٛان۔جان۔
شٕہج کھسہٕ وَس۔۲۔مضبوٗطی۔۳۔زِندٕ آسنٕچ
حالتھ۔۴۔جسم۔

زُوَس گرٛھُن:۔ا۔(گوبہٕ کھور زَنانہٕ) کُنہٕ چیزَس
خاہش گرٛھنۍ۔مَن کرُن۔۲۔ووہَو واپس پٔتُن۔

زُوَس رِگنڈُن:۔زُوخطرَس منٛز ترٛاوُن،(کُنہٕ کامہٕ
باپتھ) زِندگی داوس لاگنۍ۔

زُوس گینٛڈ گینٛڈ کرُن:۔صحیٚح خیال نہٕ کرُن۔بے
پرواہی کرٕنۍ۔

زُودگ:۔تیٚتھ دود یُس ہٕ تلہٕ نہٕ سَندارٕ زِ۔م:
ہیٚنٛس زُودگ۔

زُوداد:۔ا۔بیمارٕ کٕنۍ۔۲۔بیمار نشہٕ بچنہٕ باپتھ۔

زُو ڈنٛڈ:۔کامہٕ کوچہٕ رٕنٛگی اَرُن پکرُن (یِیلہٕ یَیہٕ کُنہٕ
رٕنگی مَدد ہیکٕ زِییہ گرِتھ)۔

زُوذاتھ:۔جاندار۔

زُو راچھ:۔زُوک بچاو۔جسم بچاوتھ تھاونٕچ سٔمبل۔

زُو زُولگُن:۔ا۔پان بچاونٕچ فکر لگنۍ۔پان بچاونہٕ
باپتھ ژھر ژھر تھ کرٕنۍ۔۲۔مَرٕ مَرٕ لگُن۔

زُولرز:۔زُوس پیٚٹھ کینٛہہ گَرٕتھ ہینٛک خوف۔

زُوا ژُن:۔ا۔زِندگی شوٗرٕ گرٛھنۍ۔۲۔نوٚسرٕ وۄتلُن،
نوٚن نیرُن (دود ہیترٕ)۔

زُوا وٚرتہٕ جہاں اوز:۔تہٕ دٕپتھ گو یِیلہٕ پانہٕ وارٕ وَتہٕ
اَکھ زِتیٚلہٕ چھُ سوٗرے دُنی یا وارٕ باسان۔سوٗرے
چھُ وارٕ زُو ہتی۔

زُودار:۔ا۔یَس یا یَتھ زُو آسہٕ۔۲۔پۄٹھ۔وُسوار۔
۳۔یہ نہٕ پۄرٕ پاٹھۍ سیٚفیوٗمُت آسہٕ۔دوز۔

زُودیُن:۔ا۔مرُن۔۲۔پان چھپہٕ دیُن۔۳۔کامہٕ
ہیترٕ پیٚٹھ پان گالُن،زُوژٹُن۔

زَوزیتہٕ:۔ا۔وژھ۔ہکٕتھ۔سکٕتھ۔جان۔۲۔وُژھ۔
وُدیوٗگ۔

زُوژٹُن:۔سخ جکھُن۔سبٹھاہ میحنتھ کرٕنۍ۔

زُوژٹتھ:۔میحنتھ گرِتھ۔سختی تلِتھ۔

زُوکھسُن:۔ا۔مرنس تیار آسُن۔پرٛان ترٛاونۍ ہیٚنۍ۔
۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ) چیز دِیس نہٕ سہل سہل
وونٛدیُن۔چیز اتھ تلہٕ کڈُن مُشکِل گرٛھن۔

زُوونٛدُن:۔(کانٛسہٕ) بَلایہٕ لگُن۔پان وَتھرُن (کانٛسہٕ
پتھ)۔چھپہٕ لگُن۔(زارٕ پارٕ یا ٹاٹھنیارٕ کٕنۍ) مَنٛتھہٕ
مدار کرُن۔

زُو ہیوٚن:۔ا۔مارُن۔مأرِتھ ژھٹُن۔۲۔(ورگہٕ
پاٹھۍ) تھَرٕ تھَرٕ اژنۍ (ترٕ ہیترٕ ہتی)۔۳۔(ورگہٕ
پاٹھۍ) پرٕ کھوتہٕ زیاد کام ہیٚنۍ۔

زُو ۲:۔(ن۔مؤل: زُو > س: دٕیپہ) خوشکی ہنٛد سہٕ
حِصہٕ یَتھ ژھٕ دلیارٕ پوٚنۍ آسہٕ۔لانٛکھ۔

زُوَل مال:۔(م۔مؤل: زُوَل مال > س: جوالا+ مالا)۔

(وَرگہٕ) سبٹھاہ شُکیل زنانہٕ۔ نازِل۔

زُورُن:-(<س:جن کہ) زِنٛدٕ کرُن۔ تازٕ کرُن۔ نۆو وراوُن۔

زُوٗن:-(مۆ: زُو<س:جیٖونہ)۔ زِنٛدٕ روزُن۔ لَسُن۔ تازٕ گژھُن۔ مِ: سوچھےٚ نچوٗس وِچھِ چھ زُوان۔

زۄج:-(م۔مۆل: زوج<ع: زوج)۔ جالہٕ دار لوٗکٹ پۆژ یوسہٕ بٹنہٕ ترٛنگس ستیٚ چھےٚ دِوان، یہ چھےٚ پۆژ تل آسان۔

زوجہٕ اَسترٕ:-۱۔ زاوُٹھ مَلمَلہٕ جالہٕ کپُر یُس زوجن اَندٕ رِمہٕ طَرفہٕ تالہٕ تہٕ اَنٛدٕ ن مَران چھ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٗٹھی) کھاپرٕ۔ سہٕ کپُر یُس گُنہٕ کارُک آسہِ نہٕ۔ سبٹھاہ توٗن تہٕ اوڈٕھ کپُر۔

زوجہٕ پٹھ اَنٛنٕ:-لو کچہٕ کھاندر کرُن۔

زوجہٕ مَہر ینٛز:-رونہٕ مَہر ینٛز یَس بالغ گژھتھ ترٛنگہٕ گنڈنہٕ ییہ۔

زۄد:-(مۆل: زۄد۔ ف: زود) جَل جَل۔ وُلی وُلی ہَش پٹھ۔

زۄد اثر:-دوا ہیترِ یُس وُلی کارگر گژھِ۔ یُس وُلی اثر کرِ۔

زۄد رَنٛج:-یُس موصۆلی کتھِ پٹھ روشہِ۔

زۄد نُویس:-یُس جَل جَل لیکھان آسہِ۔ یَس قلم وُلی وُلی وہ تھان آسہِ۔

زۄد ہَضم:-ییہ جلدٕ ے شزٕ ییہ۔

زۄد لگُن:-ہُمہٕ عادتس گُن لگُن۔

زۄر:-م۔مۆل: زۄر<س: دہیہ دزِ کشہ) ڈنٛڈ جالہٕ چیز یَتھ پٹھ ژۄنگ روزان چھُ۔

زۄر بیہہ:-زۄر ہُنٛد ژۄک۔

زۄگی وآر:-سو زاٗن یا کترِیُو بانہٕ یَتھ منٛز تےٚ وبژھنتھ پھمب کتنہٕ باپتھ تھوان چھےٚ۔

زۄل، زُوٗل:-(ن۔ مۆل، زۄل<س: دیپا ولہِ) پکوَٹہٕ سبٹھاہن ژاٗنگین ہنٛز زالےٚ۔ واریاہ ژاٗنگی زالنٛز۔ چراغان۔

زۄلی ناو:-۱۔ سوناو یَتھ پٹھ واریاہ ژاٗنگی دَزٕونی آسَن تہٕ پتہٕ آسہِ ییر ترٛاونہٕ آمٕژ۔ ۲۔ گاشہٕ ستیٚ پرٛزٕ لان ناو۔

زۄن:-(م۔مۆل: زۄن<س: جیوشنا)۔ ۱۔ ژنٛدرمہٕ۔ اکھ گرٛہ یُس زٔمینہٕ تہٕ آفتابس اَندی اَندی پھیران چھُ۔ ۲۔ زۄنہٕ گاش۔ سہٕ گاش یُس زۄن دِوان چھےٚ۔ مِ: زۄنہٕ نیرِ وچھنےٚ میاٗنی گُلکاری (مہجور)۔ ۳۔ ٹھۄلہٕ زردی۔ ٹھۄلُک اَندریم زرٕد گولہٕ۔

زۄنہٕ گرٛہن/گرٛزون:-۱۔ سو وِز ییلہٕ زٔمینہٕ ہنٛز ژھاے زۄنہٕ پٹھ پیوان چھےٚ۔ ۲۔ (وَرگہٕ پاٗٹھی) سوندر بُتھس موہۆسی ستیٚ سوسنیار پھیرُن۔

زۄنہٕ پچھ:-رٕژکی تَم پنٛداہ دوہ یِمن منٛز ژنٛدر وارٕ وارٕ بڑان چھُ۔

زۄنہٕ پچھ زامُت:-(وَرگہٕ) یُس ساری دِرٕ دِرٕ کران آسَن۔ یُس سارِنے کھران آسہِ۔

زۄنہٕ ڈَب:-سو ڈَب یَتھ منٛز بہتھ زۄن ییہِ چھادنہٕ۔

زۄنہٕ گاش:--زۄنہٕ ہُنٛد گاہ۔

زۄنہٕ ئینٛڈر:--اَڈٕ وَتٕھہٕ اُچھ ٹھُوتھ شونٛگتھ آسُن۔

زۄن کھینہٕ کھسُن:--پانٛس مُتلق ہُرٕ گُمانہٕ آسُن۔ پتھ بروٗنٛٹھ نہٕ رَژھتہٕ وُچھن تہٕ کانٛہہ نہٕ فِکرِ کھسُن۔

زۄن لگٕنۍ:--(ورگہٕ) لوٗستھ تھکِتھ موٗنٛس گژھتھ یا بیمارِ ستۍ اُچھ ژھبتہٕ ہشہٕ گژھنہٕ۔

زۄن ہش:--سوٗندر مال۔ شکیٖل زنانہٕ۔

زوٗب ۱:--(ن۔ مؤل: زوب) سوٗنہٕرۍ سُنٛد سون بیترِ کارنٛک بانہٕ۔ تھاج۔

زوٗب ۲:--(ن۔ مؤل: زوب < س: جَمبہ)۔ ۱۔ سُہ داں ژٕمین یتھ یژھ پٲٹھۍ زَب کھسان آسہٕ۔ ژٕبیٖل۔ ۲۔ ئمبل۔ ۳۔ ئمبلہٕ ہٕنٛزٕ نَر گاسہٕ تھَل۔ ۴۔ ئمبلہٕ دانہٕ۔

زوٗب ۳:--(مؤل: زوٗب < ع: زبون < زبن کہ لفظٕک ژھوٹ)۔ زٕبِد۔ سِتمگر۔

زوٗب ۴:--اکہِ قِسمٕک گُرن۔ یُس شرٛ اکہٕ پیچ گاڈِ کھوتہٕ لوٗکُٹ چھُ آسان۔

زوٗبُر:--اُسہٕ گلہٕ کہِ بۄنۍ مہٕ ژھک ہُمبر۔

زوٗبوٗن:--(ن۔ مؤل: زوٗبوٗن < ع: زبوٗن) پتھر پیوٗمُت۔ ذٔلیل گوٗمُت۔

زوٗبوٗن حال:--ابتر۔ خستہٕ حال۔

زوٗبوٗن حالی:--ابتٕری۔

زوٗبِد:--وُچھو "زٕبِد"۔

زوٗچ:--(ن۔ مؤل: زَچ < ک: زٕٹ < س: جٕرد)۔

۱۔ (ورگہٕ) نالایق۔ نالگہٕ ہار۔ ۲۔ جَدال یُس نہٕ کانٛسہٕ کیٛنٛہہ دیُن وانٛتہٕ آسہٕ پھیران۔ گُشدِ گر۔

زوٗد:--(ن۔ مؤل: زَد <؟) نیک گوڈ۔ سرٕو۔

ژٕدۍ کرٕنۍ:--۱۔ (ورگہٕ) سخ مار دیُن۔ ۲۔ سِتم کرٕنۍ۔ ۳۔ زیرانُن۔

ژٕدۍ گژھنۍ:--۱۔ کُنہٕ زخمس بیترِ یا پھپھرس وپھرس واریاہ سُراخ گژھنۍ۔ ۲۔ پرٛیُن گژھُن۔ کُنہِ لایق نہٕ روزُن۔ ۳۔ سخ زٕرِ زٕر گژھُن۔ ۴۔ (وٕزہو) م: گاسہٕ گٕدۍ تہٕ ژٕدۍ۔

ژٕدی لد:--وُچھو "زٕدل"۔

زوٗد کرُن:--(ورگہٕ) ترِتھ گژھُن۔ ژٕوٗپ ہیوٗن۔ ژُک لگُن۔

زوٗر:--(ن۔ مؤل: زَر < س: جَڈٕہ) گوٗب بوزَن وول۔ ۲۔ یُس نہٕ کنٛو کیٛنٛہہ بوزِ۔ ۳۔ (سہ سماوار بیترِ) یُس نہٕ سیوٗد دُہہٕ۔ یُس گوٗش آسہٕ۔ ۴۔ یہ نہٕ وَزِ۔ م: زوٗر بانہٕ۔ ژٕررو پے۔

زٕرہ بَر:--سخ زٕر بر۔

ژٕرۍ اُسُن:--۱۔ فِکرِ ترٕنۍ اُسُن۔ اپرٕے اُسُن۔ ۲۔ اَسنس ستۍ ٹالُن۔

ژٕرۍ بۄز بہہِ وِہرۍ بڈشاہ مۄد:--یہ چھِ تَس متلق وَنان یُس نہٕ وقتہٕ وِزِ جبہٕ آسہٕ۔

ژٕرۍ دبو:--سۄلہٕ زوٗر۔ یُس اُکھ رَژھتہٕ بوزان آسہٕ نہٕ۔

ژٕرزِلش:--سُہ جوٗتش یُس کتھ بوزنۍ کیٛنٛہہ نتہٕ

کیٚنٛہہ جواب دِیُن۔

زوٗرلاگُن:۔بۄزِتھ کنہٕ ڈول دیُن۔تیٚتھ باس دیُن زَن نہٕ بۄزمُت آسہِ۔گوٗش دیُن۔

زوٗک:۔(ن۔مؤل: زوٗک <؟س:بکام۔پنجابی:جگوٹا)۔ سُترِ چہٕ جایہِ ہُنٛز جُتھ۔شرم گاہُک وال۔

زوٗل:۔(ن۔مؤل: زَل) مکانس بیترِ کُن دِنہٕ باپتھ کھنٛنہٕ آمٕت زٔمین۔

زوٗل دیُن، کھنُن:۔کُن دِنہٕ باپتھ زٔمین کھنُن۔

زوٗمب:۔اکھ قسمُک جنٛگلی میوٕ۔

زوٗمبۄر:۔(ن۔مؤل: زوٗمبۄر <: زمبور <ع: زُنٛبُر)۔ ا۔وبگاڈِتھ سون (مُلہٕ ملیہ کرنہٕ باپتھ)۔۲۔اکھ ٹھۄلہٕ سیُن۔رُنتھ کٔنٛجہ روس ثوٗبۄتھ ٹھۄل۔

زوٗن ا:۔(ن۔مؤل: زَن <س: جَنہ) (کانٛہہ مُرد۔موٗہنیو۔

زَنہِ پتھ زَنہِ:۔ا۔پرٔتھ ژٕنس۔اکھ اکھ سارِنے۔ ۲۔وارٕ وارٕ۔سارِنے یم تتہِ آسَن۔

ژٕنس ژٕنی:۔چھنٛزِ تہِ چھۄکولے۔یُس نہٕ داج واج کیٚنٛہہ تہِ ستیِ یہِ دِنہٕ۔

زوٗن ۲:۔بیج۔اکھ قسمُک آکھ یُس آبہٕ دارٕ زمینس وانٛس لگان چھُ۔

زوٗنٛگ ا:۔(ن۔مؤل: زَنٛگ <پراکرت: جھنکہ) نار۔برٛیہہ۔سُہ نار یتھ الاوٕتہ جلاوٕ ہیٚیہ۔

زوٗنٛگ دیُن:۔نار دیُن۔زالُتھ ژھٕنُن۔(ورگہ پاٹھی) تباہ کرُن۔

زوٗنٛگ لگُن:۔(ورگہ پاٹھی) نار لگُن۔دزُن۔ دٕزِتھ پیوٗن۔تباہ گژھُن۔

زوٗنٛگ ۲:۔(ن۔مؤل: زوٗنٛگ <س: جنٛگھا) یُس زنٛگہٕ آسَن۔زنٛگن پیٹھ اِستادٕ سپدن وول۔(پۄت لوٗگ)۔مِ: دُزوٗنٛگ، ژٕزوٗنٛگ۔

زوٗنٛگلہٕ:۔(ن۔مؤل: زوٗنٛگل <ف: زَنٛگو) گنٛٹی یوسہٕ گُرس بیترِ نالی ترٲوِتھ وزان چھےٚ۔

زوٗوُرن:۔یِیمہٕ ستیِ سُندر رنہٕ ییہِ۔مِ: نا۔زوٗوُرن۔

زوٗراوُن:۔وُچھو "زوٗوُرن ا"

زوٗوُرن ا:۔(مؤل: زوٗوُرن <س: جَن) ا۔زیوٗ راوُن۔ پاٗدٕ کرُن۔۲۔وُہہٕ ناوُن۔زیوٗ راوُن۔(نار۔فساد بیترِ)۔۳۔اٗمس دوٗدس زامُت دوٗد بناوُن۔

زوٗرُن ۲:۔(مؤل: زوٗورُن) سو زامُت دوٗد رٔژھ یوسہٕ اٗمس دوٗدس زیوٗراونہٕ باپتھ ترٲوان چھےٚ۔زاگ۔

زوٗرُن ۳:۔یِیمہٕ ستیِ سُندر رنہٕ ییہِ۔مِ: نارٕ زوٗورُن۔

زوتُن:۔(ن۔مؤل: زوت <؟) چمکُن۔پرٛزلُن۔گاہ ترٲوُن۔نٔپہ نٔپہ کرُن۔

زوجہٕ:۔(م۔مؤل: زوج <ع: زَوجَۃ)۔کانٛسہٕ ہُنٛز زَنانہٕ۔آشیٚنۍ۔مِ: جلی زوجے نٔبرڈار۔

زوڈ:۔(ن۔مؤل: زاڈ <س: جَڈ) سوٗنٛی جاے یتھ پۄنی سمیوٗمُت آسہِ۔

زورا:۔(ن۔مؤل: زر <ف: زور)۔ا۔طاقتھ۔ہیکتھ۔

بَل۔۲۔ زَبردَستی ، دَباو ۔۳۔ کَنٛیگ مَد۔
۴۔(وَرگہ پاٹھی) رٕسوخ۔

زوراوار، زورَوَر:۔(مؤل: زوراوار<ف: زورآور)۔
۱۔طاقتہٕ وول۔ ۲۔ زَبردَس ۔(ورگہ پاٹھی)
جابِر۔ظالِم۔

زوراوٲری:۔(م۔مؤل: زوراوٕری<ف: زوٗآوری)۔
۱۔بُہودُری۔۲۔زبردستی۔ناجایز دَباو۔

زورٕ:۔(<ف: زور)۔۱۔طاقتہٕ سان۔زورلاگتھ۔
۲۔مَرضی برخلاف۔دَباوس تَل یتھ۔۳۔زانتھ
مانتھ۔۴۔ پکہٕ۔۵۔(ورگہ پاٹھی) کنتھ تام
پاٹھی۔کمہِ تام کشالہٕ۔۶۔جبرَن۔

زورٕ زارٕ:۔یتھٕ تتھٕ، سختی کٔنی یا زارٕ پارٕ کٔرتھ۔

زور اَزماوِنی:۔۱۔طاقتھ استیمال کرُن۔مُژہ زور
ہاوِنی۔ دوٚیمِس سُند طاقتھ وُچھن۔۲۔ طاقتہٕ سٟتی
نیاے اَنٛزراوُن۔

زوراٹُن:۔۱۔دَکہٕ اٹُن۔چاراٹُن۔۲۔سُفارِش کرِناوِنی،
وُسیلہٕ دارس اَتھہِ دَنہٕ ناوُن۔کانٛسہِ ہُند دباو تراوُن۔

زور کرُن:۔پٮ۪ژُن نہٕ ۔ سخ ماذٕرتھ کرِنی۔ باند باند
کرُن۔دَباو تراوُن۔

زور واتُن:۔دُبارٕ پیٚوٚن۔۲۔(ہزلہٕ) موموٗلی کامہِ
سٟتی تہٕ سختی موٗحسوٗس کرِنی۔کام بارِپیٚنۍ۔۳۔پھوٚل
ژٕلُن۔م: بَرچھس زورووتمت۔

زور ہاوِنی:۔۱۔طاقتھ ہاوُن۔زبردستی کرِنی۔۲۔پٔنُن
طاقتھ باوِتھ کھوژناوُن۔

زوریُن:۔۱۔گَلُن۔وَتُن گرٕچھن۔وٕزسہٕ لٔگُن۔۲۔دیتراوِتھ
نہٕ ہیکُن۔دَرُن نہٕ (کُنہِ کامہِ بیترٕ) ژٕھل واتُن۔

زور۲:۔زار گندن وول۔زاری۔

زول۱:۔(ن۔مؤل: زال<س: جالہ)۔۱۔دوٚن لٔنٛجن
درمیان گُلس سٟتی میلنچ جاے۔نکھہٕ نکھہٕ دوٚن اوٚنٛگجن
درمیان اَتھس سٟتی سٚمنچ جاے۔۲۔اوٚنٛگجو سٟتی کینٛہہ
سارنچ یا ژارنچ کام۔۳۔اَتھٕ نٮ۪نٛدٕ۔

زاٹلی پیر:۔اکھ بِمارِی یَمہِ کِنۍ زول ہوژان چھےٚ۔

زاٹلی ہار:۔۱۔ہارَن گندان گندان ہارزالس منٛز ژٔورٕ
تھوٚنی۔ ہارٕ زارس منٛز اکھ فَنٛد۔۲۔(ورگہ پاٹھی)
ژٕھل۔کینٛہہ کھٹِتھ تھاوِتھ فَنٛد (کرُن)۔

زاٹلی یٮ۪نۍ:۔اوٚنٛگجن منٛز باگ پاکھ کرُن۔

زاٹلی دِنۍ:۔اوٚنٛگجو سٟتی سارِتھ کڈُن۔

زول دیٚن۔ زاٹلی دِنۍ:۔۱۔ اَتھو سٟتی سارُن ۔
۲۔(ورگہ پاٹھی) دوٗنٛژھ دِنۍ۔

زول یُن:۔زالس دوٗد کرُن۔ لوٗنچ یُن۔

زول۲:۔(ن۔مؤل: زول):۔ اَنٛزول ۔پنٛجرٕ کاری ۔
۲۔والہٕ واشہِ ہُند بوٗر۔

زول کڈُن:۔ژادرِ دَشہِ موٗراوٕنہٕ۔اَنٛزول کڈُن۔

زوپہٕ:۔(ن۔ مؤل: زوپ<س: سوٗپ) کمزور۔
زونٛگر یوٗمُت۔

زوتہٕ:۔نٮ۪تہٕ موٗمن سنہٕ ہیکُن وول۔ژھوٗپ تہٕ سوٗپ انسان۔

زوسہٕ :-(ن۔مؤل: زوس<س: کاس۔ آوازِ پٹھ)۔
ا۔سخ ژاس۔ پوٗتس پتھ ژاس یوان روزٕنۍ۔
۲۔ژاسہِ پڑ۔

زوسہٕ لد :-یَس ضیق آسہِ، سخ ژاس آسہِ۔

زوکہٕ :-(ن۔مؤل: زوک) پلہٕ بازبُزی نہٕ منز لٔٹھی کنٛجہِ لٔٹھچ ٹھِل۔

زوکہٕ وور :-بازبُزٕنۍ۔ اکھ کھیل یتھ منز اکہِ لٔٹھہ ستۍ بیٚیس لٔٹھس پلہٕ چھ ٹُلان۔

زول :-(م۔مؤل: زول<پرٛاکرت: جٕ اَکہ<س: پُگلہ)۔ا۔نیٚنٛدرِ ژھوٗل۔ نیٚنٛدرِ زِپھ۔۲۔وٕشِھ، بےشوٗنکی پٲٹھی غلطی گژھنۍ۔۳۔غفلتھ۔

زولہٕ گژھنۍ :-پھِرٕنۍ۔

زولہِ گیہ زِ کولہِ گیہِ :-یتھ نہٕ پانہٕ واتی زِ یا یمیٚک نہٕ حِس تھوٚوی زِ یتھ چھ نوقصانہٕ واتان۔

زولہٕ :-(م۔مؤل: زول<م: پرٛاکرت: جٕ اَل)
ا۔زِپہ۔ ژھولہٕ۔۲۔تَس وَنان یُس آلرٛٹ آسنہٕ۔ کنٛی زِپہ کران آسہِ۔ زوتہٕ۔ یُس کایان کشان کأم کر۔

زولہٕ کرنہٕ :-زِپہ کرنہٕ۔

زولہِ کوٚکر :-(ہزلہِ پٲٹھی) نبتہٕ موٗمن۔ زوتہٕ۔ یُس نہٕ حِسبہٕ آسہِ۔

زول گژھنۍ :-ا۔اُچھ پٹھ اُچھ گژھنۍ۔ نیٚنٛدرِ ییٚنۍ۔
۲۔وٕشِھ گوٚژھن۔

زومہٕ :-(ن۔مؤل: زومب)۔ا۔اکہِ قسمُک لدأخی چاررووے یَس بُتھ پأٹر یا وٗہرتھ آسان چھُ۔
۲۔(ورگہِ پأٹھی) سُہ انسان یُس سبٹھاہ سوٚت سوٚت کأم آسہِ کران۔

زومبہٕ داند :-ا۔نَر یاک۔ اکہِ قسمُک لدأخی یا تبتی چاررووے۔۲۔(ورگہِ پأٹھی) سوٚدتہٕ گوٚش۔ نالگہِ ہار۔

زومبہٕ گاو :-مادِ یار۔

زومبہٕ گاڈ :-اَکھ گاڑ ذاتھ یتھ چوٚنٹھ پأٹر چھُ آسان۔ مِرٕ رکارِپ گاڈ۔

زونہٕ ہوٚل :-مُنہِ گاڈِس پٹھ کنٛیٚگ حِصہٕ۔

زونبر :-اَکھ بوٗٹی یوسہٕ ژیٹھ تہٕ تھنہٕ ستۍ رلأوتھ گلس چھِ متھان یتھ زَن نہٕ مَس نیرتھ ژلہِ۔ والہِ کھاو روکنچ بوٗٹی۔

زونٛز :-سٔرِ راونہٕ باپتھ کانٛہہ کتھ بٔرتھ دِنۍ۔ ژھل وَنُن۔ چالبأزی۔ فنٛد۔ کتھو ستۍ نکھ ولے۔

زونٛز گوٚر :-زونٛز وَنَن وول، کتھو ستۍ نکھِ والن وول۔

زونٛز وَنۍ :-سٔرِ راونہٕ باپتھ دوکھ وَنُن۔ اوٗرِ یوٗر وَنُن۔ تہٕ وَنُن یتھ نہٕ پزس ستۍ واتھ آسہِ۔ ژھگل وَنۍ۔

زونٛز وَہرٕنۍ :-مکرُک زال وَہراوُن۔

زونٛزل :-زونٛز گوٚر۔ تگن گوٚر۔

زونگہٕ :-(مؤل: زونگ)۔ کھپتو کھیوٚمت۔ ہوٚکھمت تہٕ نہٕ ہٮ۪کن وول۔ ننٛگ مہٕ۔

زونگر :-وُچھو "زونگہٕ"۔

زوٚنگُل پوٚش:- اَکھ جنٛگلی پوٚش، یہِ چھُ (ووز جارِ سان) چھوٚت آسان۔

زوٚنگرُن:- کاوٕرُن، ٹونگرُن۔ ان ہٕلی گرٛہٕنۍ۔ ہیکتھ نہٕ روزِنۍ۔

زوٚنگر یوٗمُت:- رٕے گوٗمُت۔ موکلیوٗمُت۔ ہوٗکھمُت۔

زوو:- (م۔ مؤل: زوو>پرٛاکرت: جؤآ>س: یوٗکا)۔ اَکہِ قِسمُک کیوٚم۔ یُس زُوٕ ذاُتٕن ہٕنٛدِس جسمس پٮ۪ٹھ پَلان چھُ۔ اَکھ کیمی ذاتھ۔ یوسہٕ مالہٕ پلوٚن پٮ۪ٹھ نوان تہٕ زُوٕ زاُتٕن ہُنٛد رَتھ چیتھ زُوان چھےٚ۔

زُووٕ ہٕنٛدِ باپتھ چھاےٚٹ نالہِ کڈان:- تہٕ دٕپتھ گو کاٗنٛسہِ ہٕنٛدِ وَنہٕ گرٛہٕنہٕ تیُتھ گرٕس یُن لاینہٕ یُتھ پانہٕ سے نوقصان واتہِ۔

زووٕ ہٕلۍ:- زووَن ہٕنٛز ترٛومبر۔

زووٕ نمن:- پلوَن یا پانس وَژھمژ۔ واریاہ زووٕ۔

زووٕ ذاتھ:- (ورگہٕ) شِکَس، نادٲری۔ مُفلسی۔

زووٕ پچھ:- ا۔ اَکھ وٕسنۍ کچھہ ییمہٕ کِس بٮ۪ٲلس دون نمن منٛز رٕٹتھ چارِنہٕ ستۍ ٹِپ ٹِپ چھُ گرٛہان۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھۍ) سوسبزی بیترٕ یوسہٕ رٕنٛنۍ لایق آسہِ نہٕ۔

زووٕ کان:- اکہِ گُلۍ دوپھک ناو۔ گلرُن۔

زووٕ کونٛڈل:- شِکَس لٕدنۍ۔ فُقرٲنۍ۔ کونٛجوٗس۔

زووٕ ووتھنہِ:- (ورگہٕ) شِکَس یُن۔

زووَل:- ا۔ یُس زووٕ آسَن۔ ۲۔ گنٛدٕ منٛحوٗس کونٛڈ، کمینہٕ۔

زوولہ ہُنٛد کھےٚ زِ زبولہِ ہُنٛد نہٕ:- تہٕ دٕپتھ گو شِکَس لدس اَتھہِ دارُن جان نہٕ زِ تَس یُس

اَحسان تھٕکۍ تھٕکۍ مَنٛد چھاوِ۔

زُہٕد/زُہد:- (ن۔ مؤل: زوہد>ع: زُہد)۔ ا۔ پرہیزگٲری۔ ۲۔ (ہزلہِ پاٗٹھۍ) خوشِکھ مزاجی۔ کُشدٕ گری۔ کاکٕرگی۔

زہٕد گوٚر:- (ہزلہِ) کُشدٕ گی، کاکٕر، خوشکی۔

زوہرا:- (ن۔ مؤل: زوہرا>ع: زُہرۃ) شُکر (شوٗکُر)۔ اکھ سِتارٕ، اَکھ گرٛہہٕ۔

زوہرا خوتوٗن:- لُکہ اَدبس منٛز اکس ماشوقہٕ سُنٛد ناو۔

زوہرا اَلتی:- ا۔ اکہِ کاٗشُر لُکہ کتھہِ ہٕنٛز کِردار۔ ۲۔ (ہزلہِ پاٗٹھۍ) یاوِ زَنانہٕ۔ سوزنانہٕ یوسہٕ سخ فاٗشن کران آسہِ۔ ۳۔ خامخاہ بڈٕ دبد۔

زہٕنیُل:- زہن تیار کرَن وول۔ زہنہٕ موٗزٕر۔

زٕہہ:- (م۔ مؤل: زٕہہ>ف: زِہ)۔ ا۔ کِنارٕ، اَنٛد (پشک بیترٕ)۔ دٕندرٕ (پٮ۪نٛچ، دستارِ چ بیترٕ) دُنٛد، دار (گُنہِ ہٮ۪تھۍ یا رٕبیترٕ چ)۔ ۲۔ ٹانٛہٕ۔

زٕہہ پٮ۪ٹ:- سو پٮ۪ٹ یوسہٕ پَشہِ کِس بُنٛمس دُنٛدِس تَل چھےٚ کھنگرِ لاگتھ آسان۔

زیب:- (>ف: زیب) شوٗب۔ رونق۔

زیباٗیی:- شوٗب۔ سجاوٹھ۔ رٕنٛنۍ جار۔

زیبُن:- (ن۔ مؤل: زیب>ف: زیب) شوٗبُن۔ سجُن۔

زیبہٕ وُن:- (ف۔ زیب + ک: وُن) شوٗبہٕ وُن، شُبہٕ دار، رَنٛنہٕ وُن، سجہٕ وُن (پلو گہنہٕ بیترٕ)۔

زیٹھ:- (ن۔ مؤل: : زیٹھ>س: جیٮ۪شٹھ) (کاٗشُرِ)

سَموٗتِک دوٚیِم ربتھ۔

زٕٹھ پوش:۔ پوشَن ہُنٛد اَکھ قٕسِم یُس زٕٹھس منٛز پھولان چھُ۔

زٕٹھُن:۔۱۔ حدٕ نیرُن۔ (کینٛہہ) پَزٕنہٕ پیٹھی کرُن۔ ۲۔ ضٲروٗرتہٕ کھوتہٕ زیادٕ وَنان گڑھُن۔ تیٚوٗت وَنُن ییٚمہٕ سٟتۍ مطلبے راوِ۔ ۳۔ (ورگہٕ) درازٕ نا ساز بَنُن۔ ۴۔ اصل موضوعہٕ نِشہٕ ڈٔلُن۔ ۵۔ رادیا کاڈ بڈُن۔

زٕچھر:۔(ن۔مؤل: زٕچھر <س: جیشٹھ)۔۱۔ راد، کاڈ، تھزر۔ ۲۔ دٔربر۔ ۳۔ (ورگہٕ پٲٹھی) ژیرژیر۔ یُژکال۔ ۴۔ کتھہٕ بیترِ دِنہٕ تُمت طوٗل۔

زٕچھر دِیُن:۔۱۔ کُنہٕ مأملس بیترِ شیر لاگُن۔ طوالتھ دِنۍ۔ ۲۔ بیٚنہٕ ہَن پتھ پکہٕ نٔوُن (کھاندر بیتر)۔ ۳۔ کتھہٕ بیترِ طوٗل دِیُن۔ پیچیدگی پٲدٕ کرٕنۍ، کھر اَنُن۔

زیر:۔(<ف: زیر)۔۱۔ تَل۔ ماتہٕ خٔتھ۔ ڈٔتھ۔ ۲۔ سولو کٕٹ رِکھ ہش یوسہٕ اَکھ خاص آواز نیرنہٕ باپتھ کُنہِ اَچھرس تلہٕ تراوان چھِ۔ اَکھ حرکتھ۔ ۳۔ مَرُنس ووتُمت۔ (بمارِ کٕنۍ) مِ: سُہ چھُ زیر۔

زیرِ تجویز:۔ یَتھ پتھ وِنہٕ بوزٕ شوٗژ سپدٕ لٕنے آسہٕ۔

زیروزبر:۔(ن۔مؤل: زیروزَبر <ف: زیروزَبر)۔ ہیٚرِیم بون تَلِک پتھ۔ اِنقلاب۔ عقلہٕ بکل

۔مِ: نے کرزُنم گوٚھم زیروزبرے
خبرکینٛہہ چھَمنہٕ چھُس غٲفل نگارو
(حقانی)

زیر بند:۔ تَنگہٕ۔ سُہ گنڈ یُس گُرِس یَڈِ تَلٕ چاران چھُ۔

زیر بار:۔ تَل۔ تنگ۔ بداد۔

زیر بار اَنُن:۔ تَل اَنُن۔ سخ تنگ کرُن، تالہٕ کٕنۍ اَنُن۔ تَل دِیُن۔

زیر کرُن:۔ تَل اَنُن۔ قوبوٗ کرُن۔ ہارناوُن۔

زینہٕ راوُن۔ زینہٕ ناوُن:۔۱۔ کامیأبی پٔراوُنس منٛز اتھہٕ روٗٹ کرُن۔ شِکَس دِیاوُن (جنگس، مُقدمَس، زارس بیترِ منٛز)۔ ۲۔ پوٗنسہٕ کماونٕچ سٔہیل گرِتھ دِنۍ۔

زین العابدین:۔ کشیرِ ہُنٛد اَکھ مشہوٗر بادشاہ یُس بڈشاہ ناوٕ لوٗکن منٛز مشہوٗر چھُ۔

زینُن:۔(ن۔مؤل: زین <س: جینہَ): دُشمن پاوُن، کانٛہہ مُلک پانَس تَل کرُن۔ ۲۔ اَتھس منٛز اَنُن۔ لبُن۔ ۳۔ بروٚنٛہہ بروٚنٛہہ پکُن۔ مقامَس نکھہٕ واتُن۔ مِ: مُنٛزٕ لہٕ زینُن۔ ۴۔ مُقدمہٕ پتہٕ نِس کھٔس لٔد رگڑھُن۔ ۵۔ بازِ پتہٕ حقہٕ پیوٗن (زارس بیترِ منٛز)۔ ۶۔ (ورگہٕ پٲٹھی) تَل دِیُن زٕ زرو لدُن۔ وَتھہٕ یُن۔ مِ: دوہ زمیُن۔

زینہٕ وٕنۍ:۔ چھتَل، شرط (زارٕچ تیچ بیترِ)۔

زینہٕ وُن:۔۱۔ کماوَن وول۔ ۲۔ یُس بیٚنِس ہارناوِ۔ یُس جنگ بیترِ زینہٕ۔ ۳۔ بازِ ینَن وول (زارس بیٚنس بیترِ منٛز)۔

زیوٗنمت:۔۱۔ کھوٚوٗمت ۲۔ قوبوٗہس منٛزا وٗنمت۔ پوٗمت، ہارنوومت (لڑایہِ بیترِ منٛز)۔ ۲۔ طے کوٗرمت۔

اندواتنو وٕمُت۔ مِ: ہٕزٕ ل زیوٗنمت، دوہ زیوٗنمت۔

زیَور:۔(ن۔موٗل: زیور < صرف: زیور)۔۱۔ سونہٕ روپہٕ وَس۔ گہنہٕ پات۔۲۔ شوٗب۔ رونق۔

زہتہٕ:۔(ن۔موٗل: زہت < س: دیپتہ)۔۱۔ نارٕ پھکھ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سخ غم، ہم۔۳۔ اَزروٗن۔ ۴۔ ہکتھ۔ مِ: زُوزہتہٕ۔

زہتہٕ پیوٗن:۔۱۔(ورگہٕ) ژأنتھ نہٕ ہکُن۔ سخ اَزروٗن یُن۔۲۔ سخ غم پیوٗن۔ ژُکہٕ سان موٗحسوس کرُن۔

زہتہٕ پھیٹ:۔۱۔(ورگہٕ) اَزروٗن۔ توس۔ تیوٚل۔ ۲۔ سخ چالاکھ۔ منزٕ اَتھس کچھائُن وول۔

زہتہٕ ژھٗنُن:۔(ورگہٕ) تہٕ کرُن ییمہٕ ستۍ جگر دزِ۔ تیتھ کینْہہ کرُن ییمہٕ ستۍ دوٚیمس دَگ ووتھہٕ۔

زہتہٕ کتُر:۔۱۔ نارٕ کتُر۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سخ اَزروٗن۔ ییٚ ستۍ بجأیی پتھ توس۔

زہل:۔(م۔موٗل: زہل)۔۱۔ زأویُل تاہ۔۲۔ دوہٕ ہُر۔

زہن:۔(م۔موٗل: زہن)(لداوٕ باپتھ) اُڈرِتھ تہٕ لتہٕ دِتھ میٚژ۔

زہنہٕ تھپھ:۔تیژ زہن یوسہٕ اُکس اَتھس منزٕ ووتھ۔

زٕو:۔)م۔موٗل: زو < س: جھوا)۔۱۔ زبان، اِنسان ہٕندِس اَسس منزٕ سو ماز چھل ہش ییمہٕ ستۍ بولان چھِ یا مزٕ چھِ ژہان۔۲۔ بوٚلی۔ ۳۔ ہیوٚت (قلمُک)۔۴۔ تلم یوسہٕ نیٚہ بیتر دلینہٕ طَرفہٕ لأگتھ چھےٚ آسان۔

زٕوٕ:۔(کأنسہِ ہنٛد) طرفہٕ (وَنُن)

زٕوِ (زٕو) پوران:۔ کتھہٕ بکواس۔ ژٕریتہٕ ژھرِ کتھہٕ۔

زٕوٕ پیٚٹس پیٚٹھ:۔۱۔ پوٗرٕ پأٹھی ژٕتس۔ ٹکاٹکھ۔ بلکُل یاد۔۲۔ آمژ کتھ یوسہٕ نہٕ وقتہٕ وِزِ ژٕتس پیٚیہٕ۔ مِ: مےٚ اوس زٕوٕ پیٚٹھ ہے پیٚٹھ۔

زٕوِ پیٚٹھ کھسُن:۔۱۔ ژٕتس روزُن۔ دزُن۔۲۔ پھوٗرُن۔ ۳۔ لوٗکن نِشہِ گٔنز رنہٕ یُن۔۴۔ شوہر گرٕھٕن۔ مُ: ٹٕمن پیٚٹھ کھسُن۔۵۔ وَنُن لایق آسُن۔

زٕوٕ پیٚٹھ نہٕ ہیوٚن:۔۱۔ کتھے ترأوِتھ ژٕھنٛی۔ زَن نہٕ سپدٕ مُتے چھےٚ۔۲۔(دِلس منزٕ اَستھ تہٕ) ذِکرٕ ےنہٕ کرُن۔ باز خاص نہٕ ٹٔلُن۔

زٕوٕ پیٚٹھ ہیوٚن لایق:۔ وَنُن لایق۔ تھکُن لایق۔

زٕوٕ زٕوٕ بدلہٕ زنگہٕ زنگہٕ کرُن:۔ کتھے یاژ نہٕ کرنہٕ ٹلیٚ کہ کینٛہ ہاگرتھ ہاوُن۔

زٕوٕ زٕوٕ کرُن:۔ کتھے یاژ کرنہٕ۔

زٕوٕ ژأنگج ترأونی:۔ کتھ کران کران روٗکُن۔

زٕوٕ کڈُن:۔ زبأنۍ ستۍ وَنُن۔ پننہِ پانہٕ وَنُن۔ ظأہر کرُن۔ اَندری نہٕ تھوٗن۔

زٕوٕ ہیوٚن:۔ کتھ تٔلنی۔ گنٛج کتھ کرٕنی۔

زٕوٕ ہیوٚن لایق:۔ وُچھو "زٕوٕ پیٚٹھ ہیوٚن لایق"

زٕوٕ رود:۔ کتھہٕ گُتال۔ سُہ یُس پانہٕ کینٛہہ کرنے زٕو گلہٕ وَنہٕ ستۍ پٔنُن مطلب کڈِ۔

زٕوٕ زیوٗٹھ:۔ کتھو ستۍ برابری اَنُن وول۔ خوشامد

کرن وول۔ بَتہٕ سازندر۔

زبو ژوُتُر:۔(ورگہِ) حاضِر جواب۔ یُس اَتھ پیٚٹھی سوالس جواب دِیہِ۔

زبو پھَٹُنۍ:۔(ورگہِ) ترٛیشہِ دادِ زبوٗ فُھن وو تھُن۔ سخ ترٛیش لگٕنۍ۔

زبو پھرُنۍ:۔۱۔(ورگہِ) پننے وَنُن پانس وُلٹہٕ گژھن۔ پننیے وۄنۍ ہِتس پتھ رٹنہٕ یِن۔۲۔ وشفہٕ کُنۍ کانٛہہ وادٕ کُرِتھ گژھن یُس نہٕ پۄرٕ ہیٚکہِ نہٕ کُرِتھ۔

زبو پھرٕنۍ:۔۱۔کتھ ڈالٕنۍ۔اَکس کتھِ بدلہٕ بیاکھ کتھ وَنٕنۍ۔کتھ بدلاوٕنۍ۔۲۔بَب کرُن۔وادس ڈُلُن۔

زبو پھرٕنۍ چھنہٕ کوہ پھرُن:۔تہٕ ڈٔپتھ گوپننس ڈٔنۍ ہتس یَب کرُن چھنہٕ مُشکِل۔یہٕ چھِ تَس وَنان یَس لفظ کُرِتھ پتہٕ تَتھ پھیِر یا کرٕمٕژ کتھِ بیاکھ وَلگنُن دِیہِ۔

زبو پھورٕنۍ:۔کتھ ہیٚرتھ ژٔلنہٕ کُنۍ پوٚت پھیِرنس نہٕ وارروزُن۔

زبو چھےٚ شمشیر:۔تہٕ ڈٔپتھ گوکتھ پرٕ سبٹھاہ سوٗنچتھ کرٕنۍ نتہٕ ہیکہِ زبو مار کُرِتھ۔

زبو دِنۍ:۔وادٕ دِین۔مٔتہٕ ہیوٚن۔

زبو دٔتُنۍ:۔وادٕ کُرِتھ گژھن(عوٗمؤمن بےٚ شوٗنکی پٲٹھی)

زبو ژٔتُنۍ:۔(ورگہِ) کتھ نہٕ کرنہٕ دِنۍ۔کینٛہہ ناجاٲیز وَننس پتھ اُڈزاُڈ کُرِتھ نہیب کرُن۔

زبو ژاپٕنۍ:۔۱۔مرگی ہیتر منٛز زبو بژٕکُنۍ۔۲۔سخ شرارتھ کھسُن۔کرٕ ڈکھسُن۔۳۔وادیلا کرُن۔افسوٗس

کھیوٚن۔۴۔حأران گژھن۔

زبو ژھوٚٹ کرٕنۍ:۔(ورگہِ) کتھ کم کرنہٕ۔بکواس نہٕ کرُن۔زیادٕ بکھ نہٕ کرُن۔

زبو کرٕنۍ:۔کانٛہہ کتھ زبأنی طے کرٕنۍ۔پانہٕ وأنی زبأنی فأصلہٕ کرُن۔یقرار کرُن۔

زبو گلوٕنۍ:۔۱۔کتھ رٹُنۍ۔م: تَس چھےٚ زبوے یأژ گلوٕنۍ۔۲۔کانٛہہ کتھ غأر ذمہٕ دار پأٹھی ژھٕنٕنۍ کُرِتھ۔تتھ کتھ کرٕنۍ یتھ نہٕ پتہٕ واتھ ہیکی زِتھ۔

زبو لوٕسنۍ:۔(ورگہِ) سبٹھاہ زار پار یا اَہی ہیتر کرٕنۍ۔

زبو مؤلہٕ کڈٕنۍ:۔(کأنسہ تہٕ وَننہٕ باپتھ یہ نہٕ وَنُن پرٕ) سخ تمبیہہ کرُن۔

زبو ل:۔۱۔ژرٕ کتھِ کرن وول۔ وَناونی کرن وول۔ ۲۔یُس کرِ کم تہٕ تھیکہٕ ژوٗر۔م: زوولہٕ ہُند کھیوٚن جان تہٕ زبولہٕ ہُند نہٕ۔۳۔چوغُل خور۔

زبوٗن:۔(ن۔ مؤل: زبو <؟)۔۱۔تھنہٕ پیوٚن۔ پأدٕ سپدُن۔۲۔ ووپدُن۔کوٚٹ پھٹُن۔۳۔اُمس دودس زامُت دودبٔنُن۔۴۔گنہٕ منٛز کینٛہہ نیرُن۔ م: ہنیاے زبوٗن۔

زیادٕ:۔(مؤل: زیاد <ع: زیادۃ)۔۱۔ہُر۔ژوٗر۔۲۔پیٚٹھی

زیادے:۔۱۔ زیادتی۔ یُرنہٕ پیٚٹھی (کرُن)۔ ۲۔(ہزلہٕ) کأکی

زیادتی:۔گنہٕ قسمچ سختی۔تہٕ یہ برداشتہٕ نہٕ سپدِ۔ زبردٔستی۔

زیٖت ا:۔(ن۔ مؤل: زِت <س: جِتہ)۔ تہٕ کینٛہہ ھایہٕ

ہنگہٕ منگہٕ اَتھِ لگہِ۔ بےٚ شوٗنکی تہٕ بے خبر پأٹھۍ فأیِد۔ یہِ لوٚ بمُت آسہِ

زیُت۲: -(مۆل: زِت) وُچھو"زوتہٕ"۔

زیُٹھ: -(ن۔ مۆل: زِٹھ <پرٛاکرت: جیشٹھ) ۱۔ کأنٛسہِ ہِندِ کھوتہٕ وأنٛسہِ کھٔسِتھ۔ ۲۔ تھوٚد۔ بوٚڈ۔ صدٕر۔ ۳۔ سُہ فصل یُس گوڈٕنیتھ وَونہٕ آسہِ آمُت۔ گوڈٕ وارِ وَونہٕ آمُت فصل۔ یُس فصل بروٗنٛتھ نیرِ۔

زِٹھِ باگہِ: -بوگ یُس زیُٹھ آسنہٕ کِنۍ پھلِہ۔ ییٚر زیُٹھ آسنہٕ کِنۍ حِصہ کھسہِ۔

زِٹھ پگھ: -زِٹھۍ ہِندِ وَنٛڈٕ طرفہٕ۔ سُہ رِشتہٕ یُس کأنٛسہِ زِٹھۍ ہِندِ طرفٕک آسہِ۔

زیُٹھ ژاٹھ: -مُنیٹر۔ سُہ ژاٹھ یُس ووستادٕ ہِندِ طرفہٕ ژاٹھن نظر گُذرتھو۔

زیُررا: -(ن۔ مۆل: زِر <ف: زیرہ/س: جیٖر) ۔ اکھ خوشبوٗ دار بیٚنٛگ بیوٗل یُس مَسالہٕ رٔنگۍ یا مُشکہٕ خأطرٕ سِنٛس بیترِ ترٛاوان چھِ۔ یہ چھُ کرٛیٚہنہِ رَنٛگہٕ تہٕ آسان تہٕ سفید رَنٛگہٕ تہٕ۔

زِرِ گوگج: -(سوگج ہِش یوسہٕ زِرِ گُلس مۆلہٕ رٔنگۍ آسان چھےٚ۔ زِرِ گُلیُک ڈُلوم مۆل۔ ۲۔ (ورگہِ) ژھوٗٹہٕ تہٕ موٚٹ۔

زِرِ گوگل: -سوگوگج یتھ زِرِ گُل کھسان چھُ۔

زِرِ موٚنٛڈ: -وُچھو"زِرِ گوگج"۔

زیُر: -(ن۔ مۆل: زِر <م) رۆنٛکھک سُہ أڈۍ جہ پھوٚل یُس پیٹھۍ مِن أڈۍ جبن ستۍ بوٚژتھ چھُ آسان۔

زِرِ پھوٚل: -وُچھو"زیُر۲"

زیُس: -(ن۔ مۆل: زِس) ۱۔ تاہ خانہٕ۔ سُہ دوب بیترِ یتھ اَنٛدر ریٚپنٛک خطرٕ آسہِ۔ ۲۔ غلہٕ بیترِ کھٔٹِتھ تھاونٕچ زمیٖن دوز جاے۔

زِسۍ ژأنٛگج: -دوکھہٕ دِنہٕ باپتھ زِسہٕ کِس گُلس پیٹھ ٹھانہٕ کنہٕ ژأنٛگج تھاوٕنۍ یتھ اَمہِ پیٹھۍ پکن وول زِسس منٛز گژھِ۔

زیُس گرٛوٚھن: -وۄستھ گرٛوٚھن (زمیٖن بیترِ)۔

زیُن: -(ن۔ مۆل: زِن <س: جوٗلَن) سولٕکر یوسہٕ زالنس لگہِ۔ زالُن۔

زِنۍ اَمبر: -أکرِ بے جایہٕ وارِ یاہ زیُن۔ سبٹھاہ زیُن۔

زِنۍ بنہٕ: -پٔچہِ کرِتھ زیُن۔

زِنۍ بور: -تیوٗت زیُن یُوت اکہٕ پھیرِ تُلِتھ سارنہٕ ییہِ۔

زِنۍ تِلِم: -لوکٕٹ تہٕ زأوِج زِنۍ ہٕٹ۔ لوکٕٹ زِنۍ ہٕر۔

زِنۍ تُل: -زالُن تھوپ۔ ترٛشہٕ تھوپ۔ کُہے زیُن۔

زِنۍ تھوپ: -وُچھو"زِنۍ تُل"

زِنۍ زَنٛڈ: -کاتھِہ ہوٚ ریُس زالنہٕ ورأے کُنہِ لگہِ نہٕ۔

زِنۍ کون: -زأوِج زِنۍ چھل سو زِنۍ چھل یوسہٕ زیادٕ موٚٹ آسہِ نہٕ۔

زِنۍ گر: -تیوٗت زیُن یُوت گر بارِ تُلہِ۔

زِنۍ گیڈ: -گیڈ کرِتھ یا گنڈ کرِتھ زِنۍ بور۔

زِنۍ لوٚ ژھر: -زِنۍ ترٛشن ہنٛز گیڈ۔

زِنۍ موٗزوٗر:- یُس زیُن سارنٕے موٗزوٗرۍ آسہِ کران۔
یُس وَنہٕ پیٹھٕ زیُن وأنِتھ آسہِ کنان۔

زِنۍ موٗنٹھ:- ١۔ پھالِوٕنہٕ باپتھ یا پھالِوٕنس لایق بوٚڈ زِنۍ گن۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) بوٚڈ، یَس کتھ فِکرِ ترنہٕ۔

زِنۍ موٗنٹھٕر:- لوٚکُٹ زِنۍ گن۔ کُنہِ کُلِچ گنۍ یوسہٕ وُنہِ پھالِوٕنۍ آسہِ۔

زِنۍ موٗنگر:- لوٚکُٹ زِنۍ موٗنٹھ۔

زِنۍ مِنزٕر:- زیُن کِنَن وول۔ (وانس پیٹھ یائنٹھ یہٕ منز)

زِنۍ ہٹ:- وانس بیترٕ زالنہٕ کرٕ زِنٕج چھل۔

زِنۍ ہُر:- زِنۍ پھل۔ زِنٕج زالنہٕ لایق چھل۔ لکرِ ہنز چھل یوسہٕ زالنَس لگہِ۔

زِنۍ ہأنز:- سُہ ہأنز یُس ناوِ کِنتھ زیُن ساران یا کنان آسہِ۔

زیوٗٹھ:- (ن۔ موٗل: زیٹھ < پراکرت۔ جیٹھُ < س: جیشٹھ) ١۔ یَتھ راد واریاہ آسہِ۔ ٢۔ یَتھ واریاہ کاڈ آسہِ۔ ٣۔ تھوٚد۔ ٤۔ دوٗریُک (منزِل بیترٕ) کٔزیوٗٹھ۔ ٥۔ یُژکالُک (پوٗر) سپدن وول (واو بیترٕ)

زیٹھی اتھہِ دارِنۍ:- کانُہہ چیز رٔٹنہٕ وِزِ گوڈنیتھ پلَن کرِنۍ۔ رٔٹنہٕ وِزِ بروٚنہہ بروٚنہہ روزُن۔

زیٹھم زیوٗٹھ:- بڑنہٕ پیٹھی زیوٗٹھ۔

زیٹھِ زیوٗٹھ:- ١۔ بڑنہٕ پأٹھی زیوٗٹھ۔ ٢۔ حد کھوتہٕ تھوٚد۔ ٣۔ سبٹھاہ دوٗر۔ تیوٗت دوٗر یوگن پکان پکان ووٚنۍ زٕ۔

زیٹھِ کٔنۍ گرٕٹھٕن:- ١۔ کتھن طوٗل دیُن۔ طوالتھ دِنۍ۔
٢۔ اِصراف کرُن۔

زیٹھبن نرٕہن بوٗش:- تہِ ذٔپتھ گو آسنک بسنک یا رٕتہٕ پأراوُک دِماغ یا چالٕکی۔

زیٹھو نرٕ بو کھیٚیو سال:- تہِ ذٔپتھ گو، جان پوشاکس چھُ پرٕتھ جایہِ یزتھ۔ آسَن بسَن وألِس تہٕ جان پوشاکہِ وألِس چھِ سأری ووٚلہٕ ووٚلہٕ کران تہٕ لیاقتس چھُنہٕ کانہہ قدٕر رزانان۔

زیوٗٹھ گو کرٕ یوٗٹھ:- تہِ ذٔپتھ گو کُنہِ کامہِ یا کتھِ زیٹھر دِنہٕ ستۍ چھےٚ سختی یوان۔

زیوٗر:- وُچھو "زیٖر"

زیٖرۍ پھوٗل:- وُچھو "زیوٗر"

زیوٗن:- (موٗل زنے < س: جَنہ) ١۔ تھٕنہٕ پیوٗن۔ ماجہِ ہنزِ یڈِ منز نیرُن۔ ٢۔ کوٚٹ پھٹُن۔ ترٕ نیرُن۔ ٣۔ اُمس دودس زامُت دود بنُن۔

زیٖنہٕ جاے:- تھٕنہٕ پٕنٕچ جاے۔ یَتھ جایہِ کانہہ زامُت آسہِ۔ وطن۔

زیٖنہٕ گر:- سُہ سَے یَمہ وِزِ کانہہ تھٕنہٕ پیٚیہِ۔

زیوٗن مرُن:- (ذٔنۍ یا ہس) بُن تہٕ گرٕٹھٕن، زِندگی ہنز عمل۔ یَتھ منز اَکہِ طرفہٕ زیوٗن تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ مرُن چلہٕ وُن چھُ روزان۔ م: زیوٗن مرُن چھُ بدستہِ خودا۔

زیوٗن مرُن چھُ بدستہِ خودا:- تہِ ذٔپتھ گو اِنسانس چھُنہٕ پانس تام کہنۍ، سوٗرے چھُ خوداے سے تام۔

# ژ

ژ۔ کاشرِ یُک اکہ وُہیم اَچھر۔

ژَپتھ ژَٹھ:۔(م۔مؤل: ژَپتھ ژَٹ <س: چٹ) ا۔مُسلسل لڑٲے۔ گرنیاے۔۲۔ دون (بٲژن) لۆگمُت ژھبن۔۳۔ بێنبر۔

ژَپِل:۔(مؤل: ژَپِل <پرٲکرت: چَپ/س: چَرو۔شاید آوازِ پٮ۪ٹھ)۔ا۔یُس ژوپ ہیٚیہِ۔۲۔یُس ژُپس یِیہِ۔۳۔(ورگہٕ پٲٹھی) یُس یَس وِتَس کھیٚنہٕ ووتھِ، بُتھ نَہو۔

ژَپِل ہوٗن:۔(ورگہٕ) سُہ شخص یُس کھیٚنہٕ ووتھِ۔

ژَپلِر:۔(م۔مؤل: ژَپلر <?) ژٔندن ہِچہِ ہُنٛد اَکھ قسم۔

ژَپھا:۔(م۔مؤل: ژَپ <?) اَندرَم (یتھ ٹٮ۪نتی کوٚر بناوان چھِ)۔

ژَپہٕ نوٗن پیٚوٗن:۔(ورگہٕ) سَخ دوکھ پیوٚن، سٔرووتھن۔

ژَپھ۲:۔(م۔مؤل: ژَپ؟ <)۔ا۔لۆنی متی داں تھاپُہِ یِم پتھ کُن وُشہٕ ترٛاونہٕ ییٚن۔۲۔ژ تھاپُہِ دانہٕ۔ ۳۔لۆکہٕ گنبر۔لۆکن ہٮ۪ژ بہٕ بارٕے (ژٕ پٲٹھی سالس سَبہٕ پٮ۪ٹھ)۔

ژَپہٕ دانہٕ:۔داں تھاپُہِ یِم لۆنتھ ہو کھنہٕ باپتھ ترٲوی متی آسَن تہٕ وُنہِ گنڈنہٕ آسَن نہٕ آمتی۔

ژپھ گٔنی آسٕنی:۔(ورگہٕ) (سالس بیترِ پٮ۪ٹھ) بے گنڈ پٲٹھی سالرٕ آسٕنی۔

ژَتہٕ جِہمہٕ:۔(مؤل: ژَتہٕ جِہمہ <س: چتوارِ مشت) ژور دٕ ہی۔

ژَتجِہُم:۔<س: چَتوارِ شتمہ) مورِ دِ ڈراونہٕ پتہٕ ژَتہٕ جِہمہٕ دِیُک نیاز۔

ژَٹہٕ وِنی:۔ا۔(وَتھ بیترِ) لوٚکٹ، ژھوٚٹ۔۲۔موخصر۔ ژھوٚٹی پٲٹھی (کتھ)۔۳۔بے گٲرُی نکھہٕ والے۔

ژَٹہٕ وِنی کتھ:۔ ژھوٚٹ کتھ۔موخصر کتھ۔

ژَٹہٕ وِنی کرٕنی:۔ا۔کتھ ژھوٚٹ ترٛاوِنی۔ زٕ۔تھٕ کٔنی نہٕ گوٚڈھن۔۲۔زٕڈ بوزِنی۔

ژَٹُل:۔(ن۔مؤل: ژَٹُل <س: چٹ)۔ چَنٛدِ ژٕور۔ یُس چَنٛدِ ژٕٹتھ پھٔرِ۔م: ژٕور ژٹُل۔

ژٹُن:۔(ن۔مؤل: ژٹ <س: پھٹنہ)۔ا۔کٔنہِ ہٮ۪تھی یا بیترِ سٟتی کھٔش والُن، اَنگ کرُن۔ٹکھ دیُن۔ شرٛاکھ یا دُکٲری واسٕنی۔ قاش کرٕنی۔ ترٛ والنی۔ ترٛتھ دیُن۔ م: کلہٕ ژٹُن۔لنگ ژٹُن۔۲۔بێنبر دیُن۔ جُدٲیی گرِتھ دِنی۔م: نبٲیُس نِشہٕ ژ ژٹُن بوے۔۳۔ ترٛاوُن۔ منساوُن۔ زِکرے نہٕ کرُن۔م: ژٹی تو کتھا۔۴۔طے کرُن۔سَختی تِلکتھ کُن واتُن۔م: واریاہ مٔنزلہٕ پیو ژٹُن۔۵۔ووژم تُلُن۔م: یہ چھُس سودا ہمیشہِ ژٹتھ اَنان۔ ۶۔کھٔلتھ ترٛاوُن۔پرٛاٹُن۔م: بنٛجر ژٹُن۔ ۷۔جٲری گوٚڈھن۔م: زٕہر ژٹُن۔۸۔مقرر کرُن، طے کرُن (باو بیترِ)۔حساب بوزُن۔م:

ڈ ہہ روپیہ حساب ژٕٹھ ، گُل کوتاہ ووت۔۹۔ رَد کرُن (مضموٗنس منز کانٛہہ حِصہٕ)۔ مِ: پٔتِم صَفہٕ ژٕھنس ژٕٹھ۔۱۰۔ کانٛہہ اَنگ بیترِ بےٚ کار کرُن۔ مِ: یِتھہٕ کتھہٕ کرنس پتھ چھِ زو ژٕٹھ نوان۔
۱۱۔ وزسہٕ دِین۔ لُمن۔ مِ: ژٕلی ژٕٹنیٚ۔۱۲۔ ٹھکراوُن۔ ژٕھنیٚتھ تراوُن۔ مِ: یکہِ یکہِ ژٕچہٕ ہَس زٕنگہٕ۔
۱۳۔ کام گرٕی گرٕی ٹھکراوُن۔ مِ: ژٕٹو بیقلا ژٕو۔

ژٕرٕژٕٹھ کرٕنی:۔۱۔ لرٕاَے بیترِ اَندراَکھ اَکس پکو ژٕٹنیٚ۔۲۔ لرٕایہٕ منز ژٕھین گرِتھ۔ دِیچ کام۔

ژٕرٕ ژٕر:۔ ترٕ۔ ترٕ پچہِ۔

ژٕرٕ ژٕر کرُن:۔ پکوس بیترِ ترٕ پچہِ کرنہٕ۔

ژٕرٕ واٹھ:۔۱۔ پکو بیترِ کپٹاوُنٛج تہٕ سوٗنٛچ کام۔ ۲۔ آپریشن۔ ڈاکٹرٕ سنٛدی ڈٕسی کرنہٕ آمُت آپریشن۔

ژٕٹھ کپٹھ:۔۱۔ ترٕ یا چھلہٕ گرِتھ پانہٕ وٲنی اَکھ اَکس ستی والنہٕ یا بیہناونہٕ۔۲۔ جراحت سَرجُری۔ آپریشن۔

ژٕٹھ اٹُن:۔ ووزُم تُلُن۔ قرضہٕ کرُن۔

ژٕٹھ تراوُن:۔ چھلہٕ گرِتھ تھوُن۔ پھالو تھ تھوُن۔ ترٕ پچہِ گرِتھ تراوُن۔۲۔ پتھر تراوُن۔ ژٕٹھ لرِ تراوُن (گُل بیترِ) ۳۔ تولُق ژٕٹُن۔ رِشتہٕ ختم کرُن۔
۴۔ ٹھکراوُن تیٚہٕ کام ییٚنٛہٕ یِتھہٕ زَن ژٕھنیٚتھ پییہٕ۔

ژٕٹھ دِین:۔۱۔ اَلگ گرِتھ تراوُن۔ کھش یا ترٕتھ والُن۔ ترٕ وٲلِتھ دِین۔۲۔ حساب بیترِ بوزُن۔
۳۔ فٲصلہٕ گرِتھ دِین۔

ژٕٹھ ژٕھنُن:۔ ترٕ والنہٕ۔ ترٕ پچہِ کرنہٕ۔ تلہِ مہٕ کرنہٕ۔ ٹکھ دِتھ پتھر تراوُن۔

ژٕوٹُمت:۔ ژٕنجہٕ تھوومُت۔ مِ: ژٕھوکن۔ ژٕوٹُمت۔

ژٕڈژٕرژٕ ڈ:۔ (ن۔ موٗل: ژٕڈ ؟<پرٛاکرت: چڈڈھ) ۱۔ وودنی تھمب یتھ پتھ تو لُک لوٗٹھ تہٕ کانٛل ژٕرِتھ آسان چھُ۔ تولہٕ ژٕرژٕڈ۔۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) بیہوال۔

ژٕڈ۲:۔ (ن۔ موٗل: ژٕڈ<پرٛاکرت: چڈ ڈ ڈ/س: چرٕ۔ مِ: سِندھی: چاڈی) لوٗکُٹ نوٗٹ۔ نٔتہٕ چالہٕ لوٗکُٹ کتریوو بانہٕ۔ ژٕوڈ۔

ژٕڈوور:۔ وُچھو "ژٕڈ۲"

ژٕڈ۳:۔ (م۔ موٗل: ژٕڈ<؟)۔۱۔ تاب۔ صَبر۔۲۔ حاجتھ۔ ضرورتھ۔ وُچھو "ژٕبڈ" تہٕ۔

ژٕڈ ژٕلنی:۔ (ن۔ موٗل: ژٕر<س: چرٕ) ژٕرژٕن وول۔ یُس کوٗس روزِ۔ یُس زاگ ہیٚیہٕ جوسوٗس۔

ژٕرا:۔ (ن۔ موٗل: ژٕر<س: چرٕ) ژٕرژٕن وول۔ یُس کوٗس روزِ۔ یُس زاگ ہیٚیہٕ جوسوٗس۔

ژٕرِ کاژٕ:۔ ژٕرِ سنٛد پیشہٕ۔ ژٕرژٕن وٲلی سنٛد کام کار۔ جوسوٗسی۔ ژٕشینگیٚنٛج کام۔

ژٕر۲:۔ (ن۔ موٗل: ژٕر<؟س: چرٕ)۔ اکھ کیوٗم یُس ٹوپھ دِوان تہٕ رَتھ چوان چھُ (یہ چھُ یِژٕ پاٗٹھی کھرٕ پَن تہٕ ژٕرژٕن منز ژٕوٗر یہان تہٕ روتلہٕ نوٗن نیران)۔

ژٕر۳:۔ (ن۔ موٗل: ژٕر<م) وٲنکھ یا ژٕھتھ رَز یتھ سبزی

بیترِ ہوکھناوٕنہٕ باپتھ وران چھِ۔ سبزی ہوکھناوٕنہٕ باپتھ وُٹھمٕژ وأنکھ م: اکہٕ ژَر۔

ژَر۴:-(ن۔مؤل: ژَر>س:چَر)۔زُوٕ ذاتھ یہٕ حرکت کران آسہِ۔م: اَژَر۔

ژَرَن:-(ن۔مؤل: ژَرن>س:چَرنَد)۔کھور۔ پاد۔پۆو۔

ژَرَن پیٚوٕن:-۱۔پَرَن پیٚوٕن۔پادَن پیٚوٕن۔کأنسہِ ہنٛدِ ہن کھورَن پیٹھ کلہٕ ترٛٲوُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) عاجزی کرٕنۍ۔زارٕ پار کرُن۔

ژرنارٕ بٔنٛد:-(ن۔مؤل: ژَرنابند>س:چَرناروِندَہ) پمپوش ہی(نوزُک تہٕ خوبصورت) کھور۔

ژَرنامرِتھ:-(ن۔مؤل: ژَرنامرت>س:چَرنامرِتہَ) ٹھوکرٕ سٕنٛد کھور چھٲلِنۍ وۄنۍ (یُس توبرُک زانِتھ پوان چھُ)

ژرنہٕ کَمَل:-(ن۔مؤل: ژَرنہٕ)کمل>س:چَرنہ+ کملہٕ) پمپوش ہی نوزُک تہٕ سوندر کھور پادٕ کمَل۔

ژَراژَر:-(ن۔مؤل: ژَراژَر>س: چَراچَر) (ورگہٕ) زُو دارتہٕ بے زُو، کاینات۔سوُرے یہٕ چھُ تہٕ تہٕ۔

ژَرِپۆپ:-وُچھِو "ژَرِ۲" لفظس تل۔

ژَرلِژھج:-وُچھِو "ژَرِ۲" لفظس تل۔

ژَرٕنۍ:-(م۔مؤل: ژَر>م۔ ہ: چڑنا)۔۱۔ پھوٚژنۍ۔ کأنسہِ ہنزِ گُنہ کتھِ ستۍ ژٕر ووٕتھن۔ ژہٕ کنۍ۔ ۲۔(ہزلہٕ) کأنسہِ ہنٛدِس بارو دِلس پیٹھ تَس متعلق ونان۔

ژَرُن۲:-(ن۔مؤل: ژَر>س:چَر)۔۱۔ژوزگرٛوٹھن۔ ہُرُن۔

ژَرِتھ:-(ن۔مؤ: ژرِت >س: چرِت) ۔۱۔طور طریقہٕ۔سیرتھ۔کارنامہٕ۔۲۔منظوٗم قصہٕ (کأنسہِ ہُستیہِ مُتلق)۔م: سودام ژرِتھ۔۲۔پأٹھٕ ژھَرٕ۔

ژَربَر:-(ن۔مؤل: ژربر>س:چَر) ژوٚدر آسنٛچ یا گرٛزٕنچ حالتھ۔ہُربر۔

ژَرژُن:-(ن۔مؤل: ژَرژ>س:چَر)۔۱۔کوٚس روزُن۔ زاگہٕ روزُن۔پےتھٲوُن۔شینٛگُن۔۲۔آنٛگرُن۔

ژَرمن:-(ن۔مؤل: ژَرمن>س:چَرمن) ژَم۔دالہٕ۔ مُسلہٕ۔چَمہٕ۔جانورس بیترٕ ہنٛزٕ ہٕتہٕ۔کھَل۔

ژَروَن:-(ن۔مؤل: ژَرون >س: چَروَنہَ) (ٹلِتھ یاژِتھ) کرٕنہٕ ماز بیترٕ۔

ژَروَن بَتہٕ:-وازٕ بَتہٕ یُس ژَرونس ستۍ کانٛجس کھوان چھِ۔

ژَرٕ ژٕٹہٕ:-دَبہٕ۔ٹھپہٕ۔

ژَرٕٹہٕ پھٕن:-۱۔دَبہٕ وَنہٕ یُن۔۲۔ٹھپہٕ بھُن۔دَبہٕ بھُن۔ ۳۔اُکے جایہٕ بہتھ گرٛوٹھُن۔۴۔ہأرِتھ بھُن۔ بنٛد گرٛوٹھن (کارٕ بارٕ بیترٕ)۔۵۔بےکار گرٛوٹھن۔

ژرٕ ٹھ:-(ن۔مؤل: ژرٕٹ > آوازٕ پیٹھ)۔۱۔دَب ترٛاوٕنچ یاوٕسی پھٕنٛچ آواز۔دُب۔۲۔دَب۔گُنہٕ ستۍ ترٛاوٕنہٕ آمٕت دَب۔۳۔ٹھٕٹھ۔یل۔ہٕٹھ۔

ژرٕ ٹھ کڈُن:-۱۔حاجتھ کڈِتھ ژٕین۔ زَڈ کڈٕنۍ۔ ۲۔جَل جَل (کھبتھ) موکلاوُن۔

ژژنگ:-(ن۔مؤل: ژژنگ <؟)چژنگ ۔ژھرٕ ٹہٕ
ژھرٕ ٹھ۔ تچھ بچھ۔داد بیترِ کنہٕ دِتی متی ڈُلنی۔
ژژنگ برٕنی:-چژنگ دِنی۔ دادِ بیترِ ستی ژھرٕ ٹہٕ
ژھرٕ ٹھ کرٕنی۔
ژژنگ دِنی:-چژنگ دِنی۔ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھ کرٕنی۔
وُ ے تہٕ وائے کرٕن۔دادِ کہٕ زورٕ پان اوٕر یور چھاوُن۔
ژژار:-(ن۔مؤل: ژژار <؟)ژار۔ کشیٖر اَندر اَکھ
جایہِ ہُنٛد ناوٕ یتہٕ شیخ العالمؒ (نُند ریوشؒ) سُند
اَستان چھُ تہٕ اَتہِ چھِ کانگرِ چھےٚ سبٹھاہ مشہوٗر۔
ژژارٕ کانگر:-ژارٕ بنہٕ ہو کانگر، سبٹھاہ اُوِج تہٕ
زاُوِج کانگر۔
ژژانڈ:-(م۔مؤل:ژژانڈ)۔اُڈرٕن۔بدرٕوٗ۔
ژژانڈ مانڈ:-۱۔لٕکو ستی رَبہ دژوٕ۔۲۔ اُڈرٕن۔
چیزن ہنٛز بےٚ ترتیبی۔
ژژانڈ مانڈ کرٕنی:-(ورگہٕ) لٕتہٕ موٗنجہٕ کرٕن۔مؤلت کرٕن۔
ژژٕٹ۱:-(م۔مؤل:ژٕرٹ/ژرچ <؟ س:چکرٕ واتہ)
۱۔کرٕالہٕ ژٕکھر۔کرٕالہٕ سُند گول پیہ یُس سہ نٔشناوان
چھُ۔۲۔گرٕ کنہٕ چالہِ کاٹھہ گول چیز۔م:ہنٛگہٕ ژژٕٹ
۳۔گول ٹکی۔پل بیترِ۔م:میلہٕ ژژٕٹ۔۴۔گول
پُترٕ ہش۔م:ناگہٕ ژژٕٹ۔
ژژٕٹ گژھنی:-دٕبہٕ وٕنہٕ یُن۔تل گوٗھنہٕ یا کٔنیک
دَب پینہٕ کنہٕ دَبہٕ پھُن۔موٗنڈ گژھنی۔
ژژٕٹ۲:-(م۔مؤل: ژژٕٹ/ژرچ <؟)(بالہٕ بیترِ
کھنٛومُت)ٹپہ۔
ژژٕٹ کھیٚکُر:-ٹپہٕ کھنٛیون۔
ژژٕٹ ووٕ تھنی:-ٹپہٕ کھبتھ واپس یُن۔
ژژاٹی:-(م۔مؤل: ژراٹ <س: چرٕ+پڑاکرت۔
لٹٹھ)ژرٕوٕنچ آواز۔
ژژاٹھ ژٕلُن:-بجرٕ بیترِ کنہٕ حبسہٕ وبسرٕن، حبس ہوش
راوٕنی۔دِماغ بہٕ ڈنجہ روزُن۔
ژژاج:-(م۔مؤل:ژژاج <دٕ چھوژٕ ژول)
ژژانی:-م۔مؤل: ژژانی) اکھ جنگلی موٗک ناو۔اَتھ
چھِ اُلی چَن سوٗمی پھٔلو آسان۔
ژژانڈ:-(م۔مؤل:ژرانڈ) آبُس اَندر ووپدٕن واجینٛی
اَکھ گاسہ ذاتھ۔
ژژنگ۱:-(ن۔مؤل: ژژنگ ) (بأگرٕنس بیترِ منٛز
وَنان)۔پیٛؤشتا پیٛؤشتا۔رژھا۔
ژژنگہٕ واد:-رَژھہ رژھہ گرتھ، پیٛؤشتہٕ پیٛؤشتہٕ (بأگرٕن بیترِ)
ژژنگ۲:-(ن۔مؤل:ژژگ <؟)۔۱۔ژٕنگرٕ۔ژٕہنگن۔
خوش گرٕوٕھن۔خوش گوٕھتھ ووٕتہٕ ٹلنہٕ۔۲۔مزٕدار
ترٕوٗش ترٕوٗش سیٛن۔
ژژنگہٕ واد:- جنہٕ جوش (گرٕس بیترِ اَندر)
ژژٕھی ژٕلُن:-وُچھو "ژژاٹھ ژٕلُن"
ژژوٹ:-(ن۔مؤل:ژژٕٹ <؟) کوٗر۔ پٹھ بیٛوٹھمُت
تھوٗپ یا ٹھوٗر۔م:اوبرٕ ژژوٹ۔ٹِمنی ژروٹ۔
ژروتگ:-(نَ۔مؤل:ژژنگ) نکہٕ سِکہٕ کٔنن وول۔

ژژول:-(ن۔مؤل: ژژال <س: چَرنہ+کار/ پالَہ)۔
ا۔ژٕمُر ۔دالہٕ کأم کرن وول۔کھور بانہٕ ہیتر بناون
وول۔۲۔سرکارٕ کہِ طرفہٕ تھَونہٕ آمُت ژرژَن وول
مُلأزِم۔کارخانہٕ وول مُلأزِم۔۳۔جیلہٕ ہیتر ژُگ
داروغہٕ۔جیلر۔(یوٗسُف زُلیخا)۔

ژژٲلی زاپھَل:-ا۔سہٕ زاپھَل یُس دیٚار منگنہٕ باپتھ
ژژول اوس کھاندرس پیٹھ پِلناوان۔۲۔(ورگہٕ
پأٹھی) کینٛہہ اَخذ کرنہٕ باپتھ بیٚیہِ کینٛہہ پِلناوُن۔

ژژوٹھ:-(ن۔مؤل: ژژوٹ < آوازِ پیٹھ)۔ا۔دَب
لگنٕچ آواز۔آواز ہیترِ یوسہٕ رَبہِ ہیترِ پیٹھ دَب لگنہ
ستیٚ مندل نچھَن نیران چھےٚ۔۲۔ ٹاس۔۳۔
کارٕ بارس ہیترِ اندر وولمُت دَب۔خسارٕ۔گاٹہٕ۔

ژژوٹھ کڈُن/ ژژوٹھا کڈُن:-ا۔قرضس بژکھ
والُن۔۲۔پٔنٕنی زَڈ کڈٕنی۔۳۔کینٛہہ کالاعأش کرٕنی۔

ژژوٹھ والُن:-ا۔دَب والُن۔۲۔ٹاس والُن۔۳۔گُنہِ
بڈِس رقمس پیٹھ ٹھگ ترٛاوُن (کارٕ بارس ہیترِ اندر)

ژژونڈُل:-(ن۔مؤل: ژژونڈل <س: تَنڈلَہ) ووزرِ
رَنگہٕ اکھ داں ذاتھ۔

ژژونڈ نبند:-دانبس دِژہٕ مژ دوہیم نبند۔

ژژونگ:-(ن۔مؤل: ژرونگ <س: چتُر+اَنگلہِ)
اُڈموٹھا۔اُڈ ژالا۔رَژھا پیٛوٚشتا گُنہِ منٛز رژھا مویا۔

ژژیٹھ ا:-(ن۔مؤل: ژژیٹ <؟)۔(گُنہِ کامہِ ہیترِ
لوٚگمُت) ژیر۔ییٚٹھ۔

ژژیٹھ لاگُن:-(کلمہِ ہیترِ) ژیرلاگُن۔ییٚٹھ دیُن۔
کامہِ روٗزِتھ گژھنہٕ پاتھونہٕ کِنٕز واریاہ کال لگُن۔

ژژیٹھ ۲:-(ن۔مؤل: ژریٹ < ژیٹھ لفظُک بیٚا کھرٕ پھ)
دوگ۔موہلہِ یا ژھوٹہٕ ہیترٕ ستیٚ دَگہٕ نچ کأم۔

ژژیٹھ دیُن:-ا۔دَگنہٕ ستیٚ ژیٹُن، گس دیُن۔
۲۔تھٕکراوُن۔نَرِ زَنگہٕ لوسناونہٕ (کأم کرنأوِتھ)

ژَژر:-(م۔مؤل: ژَژر)۔نیٚاے۔فتنہٕ۔

ژکس:-(ن۔مؤل: ژَس <؟)۔ا۔شہٕن وٕ بگلنٕچ حالتھ۔
۲۔ژٕمپٕس وٕستھ گژھنہٕ کِنٕز گومُت دوب ہیٚوٗہ،
زیُس۔۳۔خَجالتھ۔خَجالژ یا دوکھہٕ کِنٕز ژھوپہ، وٕنتھ
نہٕ کینٛہہ ہیکُن۔۴۔اُہرٕ ترٛاس۔خوف۔

ژَس کرُن:-خَجِل کرُن۔

ژَس گژھن:-ا۔خَجِل گژھن۔خَجالژ کِنٕز دَم پھُٹ
گژھن۔۲۔ترٛاس کھیوٚن۔ترٛہرُن۔

ژَسُن ا:-(ن۔ مؤل :ژَس) بَڈِ بَڈِ اَسُن۔ ٹھاہ ٹھاہ
کران اَسُن۔

ژٕستھ ییُن:-سبٹھاہ زیٚادٕ اَسُن۔اَسَن کھنٛگالہٕ ترٛاوٕنی۔

ژٕسی ژٕسی ییُن:-سبٹھاہ زیٚادٕ اَسُن۔اَسی اَسی کائن
گرُس گژھن۔

ژَسُن ۲:-(ن۔مؤل: ژَس <؟) واریاہن لوٗکن ہُنٛد
(طرفاتو پیٹھٕ ییتھ) اَکی ہیٚے جایہ سمن۔

ژٕستھ ییُن:-ا۔واریاہ لوٗکھ اَکی ہیٚے جایہ سمٕنی۔ہیٚرٕ
بارے آسنہٕ کِنٕز ژٕہلہٕ موٗنگر گوٚھنی۔۲۔(گُل ہیترِ)

بَرجَستہٕ پھوٗلُن۔

ژَش:-(م۔ مۆل: ژَش)۔ وُچھو "ژِتھ"۔

ژکو:-(ن۔مۆل: ژَکو<س: چکرواکہ) اَکھ پچھِن ذاتھ۔

ژُکج:-(م۔ مۆل: ژَکج <پڑاکرت۔ چکلہ <س: چکر)۔۱۔ژزژٹ۔۲۔گول پاٹھ (گرٹنگ)۔م: گرٹہٕ ژکج۔۳۔منٛدل بُٹھ۔بیٖہہ۔

ژکج ہاوٕنۍ:-(ورگہٕ) شَنگرٕ گژھنۍ۔ لٔٹ وۄتھنۍ۔

ژَکہٕ دَر:-(ن۔مۆل: ژَکہٕ دَر<س: چکرٕ دھر)۔ وێچھِ براٗرِس نزدیکھ اَکِس وُڑٕ رٹنٛد ناو، اَتہِ چھُ پتھ کالہِ وێشنو سُنٛد منٛدر اوسمُت۔

ژُکل:-(ن۔مۆل: ژَکل<س: شکلَہ)۔۱۔ٹُکر،حصہ۔ م: ژامنہِ ژُکل۔۲۔لوکٹ ژَکھ۔م: دژمن ژُکل۔۳۔سۆترٕ زمینہٕ ٹُکر۔م: زمینہٕ ژُکل۔

ژَکجل:-۱۔ گرٕ کنۍ ہیۆہ۔ ہُکرٕ بیترٕ یُس گرٕ کنۍ ہیۆ بیہہِ۔ ۲۔منٛدَل وۆتھ۔

ژَکھ۱:-(ن۔مۆل: ژَک<؟س: چکرٕ)۔

۱۔ میوٕ ہیتھ دژمن پَتُل۔۲۔کُنٛیک پَتُل۔ کُنہِ چیزٕ چ وَرُق ہش چھل۔م: کھرٕ ژَکھ۔

ژَکہٕ پَل:-(وَرگہٕ) یُس دوٚتھنس بیٚہنس کیٚت گۆب آسہِ۔ یُس باریکھ آسنہٕ کنۍ سَہل سَہل ژٕ زنگ تِلتھ ہیکہِ نہٕ۔

ژَکہٕ تھہر:-پیاز بیترٕ یُس قَبرٕ ژکھلاگنہٕ وِزِ کران چھِ۔

ژَکہٕ تھوس:-لوکٹ دژمن ژَکھ۔

ژَکہٕ ژُر:- زنانہٕ یوسہٕ کاٗم کرنس کرٕژوٚتٕژ آسہِ۔ سو یَس کامہِ اَنٛدر وُژھ آسہِ۔

ژَکہٕ ساٗر:-۱۔ دژمَن ژَکھ بیترٕ اَکہِ جایہِ تُلتھ بێیِس جایہِ لاکہٕ لاکہٕ ساٗرنۍ (خاص کٔرتھ کولہٕ وانہٕ وِزِ)۔ ۲۔اَنٛدرٕ پکھہِ زمینہِ منٛزٕ ژکھ تُلتھ کھاہَس تژاوٕنۍ۔ ۳۔(ورگہٕ پاٗٹھی) اَکھاَکِس پلناوِتھ کانٛہہ چیز اَکہِ جایہِ پێٹھ بێیِس جایہِ واتناوُن۔

ژَکہٕ کم:-کھاہس قۆوتھ دِنہٕ خاطرٕ ژَکھ تژاوٕنۍ۔م: پاٗش کم۔

ژَکہٕ لاٗر:-(ورگہٕ) چھاٗر۔ باٹبر۔ چار۔

ژَکھ۲:-(م۔ مۆل: ژَکھ <س: اَچک) پھوٚشنۍ۔ شرارتھ۔ کرٛوٗد۔غوصہٕ۔

ژَکھِ گژھُن:-(ہنگہٕ منگہٕ) ناراض گژھُن۔ وێہرٕ گژھُن۔ شرارتھ کھسُن۔

ژَکھِ وَسُن:-شرارتھ تژاوُن۔ شانٛت گژھُن۔

ژَکھِ ہوٚت:-یَس غوصہٕ گومُت آسہِ۔ یَس شرارتھ آسہِ۔ ناراض۔م: سُہ دژاو ژَکھِ ہوٚت۔

ژَکھ اٹنۍ:-شرارتھ کھاٗن۔ پھوٚشراوٕنۍ۔

ژَکھ آیہ کاٗم دژایہ:- تہِ ڈیچھ گوکانٛہہ ضوٗرٗری کاٗم اَنٛد واتناونس منٛز گژھِ نہٕ کانٛسہِ ہنٛدِ خوش یا ناراض گوژھنک وایہ کرُن۔

ژَکھ چھاٹنۍ:-پھوشنہٕ وِزِ بیٚیہِ کانٛسہِ پێٹھ شرارتھ پھٹرُن۔

ژَکھڑاپِنۍ:-غوصہٕ أندری ژٕر وٚپراوُن۔ ژبڈ کرٕنۍ۔
ژَکھ کرٕنۍ:-کُنہِ پٮ۪ٹھ غوصہٕ کرُن۔ ناراضگی ہاوٕنۍ۔
ژَکھ کھسٕنۍ:-پھوٚشنۍ۔ شرارتھ کھسُن۔
ژَکھ مورٕنۍ:-شرارتھ ہوٚ مراوُن۔
ژَکھ ہیٚنۍ:-۱۔ پھوٚشنۍ۔ شرارتھ کھسُن۔ ۲۔ بٕرلگُن۔
برادش نہٕ سپدُن۔ مِ:میٲنہِ وَننہٕ آلیس ژَکھ۔
ژَکھ۳:-کشیرِ ہِنٛدِ اَکہِ حُکمران خاندانٕچ کرٛام۔ چک۔
ژَکھ۴:-(ن۔مؤل: ژَک <پراکرت: چَکّہ <س: چکر)۔۱۔ تیلہٕ وٲنۍ وانک سُہ ڈَنٛڈ یُس تیلہٕ وٲنۍ داندس گردَنہِ لٲگتھ چھُ آسان۔ ۲۔ کرٛالہٕ ژرٛٹ۔ گرٛیٹِنۍ۔ یتھ پٮ۪ٹھ کرٛال بانہٕ ٹھران چھُ۔
ژٕکھر:-(م۔مؤل: ژَکھر <وُچھو ژَکھ۔ ژَکھ لفظُک ژھوٚٹُر)۔۱۔ ژَکھ۔ کانٛسہِ پٮ۪ٹھ چھوٚنٛٹمُت شرارتھ۔
۲۔ کانٛسہِ ہُنٛد رُدمُت دِلہٕ أندری کینہٕ۔
ژَکھر کڈٕنۍ:-۱۔ کانٛسہِ پٮ۪ٹھ شرارتھ چھانٛٹُن۔ شرارتہٕ ہوٚت اَستھ کانٛسہِ سٟتۍ اَڈ زاَڈ کرٕنۍ یا لایُن۔
۲۔ یتِ مِس بروٚنٛٹھی مِس داد ہیٚوٚن۔ پۆرٕ پٲٹھی داد ہیٚوٚن۔ مِ:سالِس پٮ۪ٹھ کڈنس سأرۍ ژَکھر۔
ژَکھر نیرٕنۍ:-پۆرٕ کسر نیرٕنۍ۔ داد ہیٚنہٕ یُن۔
ژَکھر:-(ن۔مؤل: اَژکھر <؟س: شکلہ) لَبہِ پٮ۪ٹھ وُتھِتھ آمُت بٲرتھ۔
ژلا، ژَلہٕ:-(مؤل: ژَل <س: چلہ) تلا۔ ہیا یپأری ہا۔ (کانٛسہِ ہُنٛد توجہ پانس کُن پھرنہٕ وِزِ وَنان)
تلہٕ با۔ مِ: ژَلہٕ با، ژَلہٕ ہٕنۍ۔ ژلہٕ سأ۔
ژَلہٕ ناوُن:-۱۔ ژٕکھ کڈٕ ناوُن۔ لار ژاٛنۍ تیٚتھ تنگ کرُن یُتھ جاے یا کام ہیتِ ترٲوِتھ گژھِ۔
۲۔ شِکَس کھیٛاوُن۔ ۳۔ بگراوُن۔ مِ:دوژلہٕ ناوُن
ژٕلنۍ:-(ورگہٕ) پھرِٕنۍ۔ بُلُن۔
ژَلہٕ وٕنۍ:-۱۔ تیز پکہٕ وٕنۍ (وتھ ہیتِ)۔ ۲۔ دوٗر گژھِہ وٕنۍ
۳۔ ژٕٹہٕ وٕنۍ۔ سَرسَری۔ پٮ۪ٹھی پٮ۪ٹھی (کتھ ہیتِ)۔
۴۔ زٕڈ۔
ژلہٕ وِنُن بروٚنٛٹھ تہٕ لارٕ وِنُن پتھ:-(ورگہٕ) بُزدِل۔ بےٚ منٛد چھ۔
ژلہٕ وٕنۍ کرٕنۍ:-زَڈ نکھ والنۍ۔
ژٕلُن:-(ن۔مؤل: ژَل <س:چلنہٕ)۔۱۔ ژٕکھ کڈٕنۍ۔ نیرتھ گژھن۔ مِ: سُہ ژٕول گرٕ۔ ۲۔ (پٕننہِ جایہِ) ہلُن۔ ڈٕلُن۔ مِ: تھٔم ژٕولُس نیرتھ۔ ۳۔ دوٗر گژھن۔ نہٕ روزُن۔ مِ:بوچھ ژٕلنۍ۔ ۴۔ مقابلس نہٕ ڈرُن۔ پۆت ہیٚوٚن۔ ہار مأنِتھ ژٕکھ ترٲوٕنۍ۔
۵۔ یلہٕ گژھن (قأدٕ ہیتِ منز)۔
ژَلَن پایے:-بچاوٕچ صوٗرتھ۔ موکلن پایے۔
ژلن شایے:-چھپَن جاے۔ یوٚت چھپنہٕ یِزٕ۔
ژلان تہٕ لاران یُن:-دوان تہٕ دوران واتُن۔
وَسہٕ آسنہٕ کِنۍ کانٛسہِ ہُنٛد نوقصان وُچھِتھ ڈٕلۍ تَس کُن دَوان۔
ژلان ژلان:-۱۔ نیرۆن۔ نیرن دِلہٕ۔ ۲۔ پٮ۪ٹھی

پیٹھی۔ زاۆِ وی جارِ سان نہ غورِ سان نہ۔ م:
ژلان ژلان گرنس نظراہ۔
ژلان ہیُن:۔۔دوان تہ دوران گن واتُن۔لار ہوت ہیُن۔
ژلہِ ژلہِ:۔ خوفہِ بیتر کنی ژلُن تہ ژلُن۔ ژلنس
تہ ژلنس گن گنڈ ہڑ شکل۔لار لار۔
ژلہِ ژلہِ لگُن:۔ژلنس گن شکل گنڈِنی۔
ژلہِ ژیتھ:۔ا۔ لار ہوت۔ یس لار لگمژ آسہِ۔ یس
مَن ڈنجہِ روزِ نہ۔۲۔وسواسی بانبری۔ہری شہِ دِل
ژلہِ لار:۔بانبر۔چھار (گنہِ کامہِ بیتر منز)۔
ژلہِ لار پینِز:۔ا۔ چھار پینِز۔ بانبر پینِز۔۲۔ (جیر
بیتر کنی) ژلنس واتُن۔
ژلہِ لار لگنِز:۔وُچھو "ژلہِ لار پینِز"
ژلہِ ہاتہِ چھم نہ وار روزِ ہاتہِ چھسے بار:۔تہِ دِیتھ
گوٗنہِ مشکلس منز پھسِتھ نہ بروٗنہہ پکنس وار
روزُن نہ پوت ہیکنس۔
ژلہِ ہا چانہِ دادِ ژ ہیتھ ستی:۔تہِ دِیتھ گو کانسہِ
ٹاٹھس نشہِ تنگ ہیتھ تہ نہ سہ ترأوِتھ ہیکُن۔
ژلنس واتُن:۔(ورگہِ) سخ تنگ ہیُن۔گنہِ کنہِ نہ پوشُن۔
ژلتھ گژھُن:۔(کانہہ چیز بیتر) ترأوِتھ گژھُن۔
ژلتھ ہیُن:۔ترأوِتھ ہیُن (نوکری یا محاذ بیتر)
ژل داں ترٚ:۔زیچھ تیجہِ گرتھ اکھ گاسہِ ذاتھ۔
ژم:۔(م۔ موٗل:ژم > پراکرت: چمہ > س: چرمہ)
ا۔ مُسلہِ۔۲۔ دبل (کلیگ یا ژوئنیگ بیتر)۔ دالہِ
(جانورس بیتر سُند)۔
ژمہِ آسُن:۔ژیپہ آسُن۔ کانسہِ ہُند وسہِ آسُن۔
کانسہِ ہنز ہمدردی آسنِز۔
ژمہِ دِ ج:۔لیۆب تھوپ کرنہِ باپتھ کانسہِ گری ہتی
اپزی تأریف۔ ژیتھ رچھنہِ باپتھ گری ہتی
کانسہِ تأریف۔
ژمہِ دوز:۔ا۔ یَس ژم دِ رآسہِ۔۲۔یس نہ نم تر۔
۳۔یس نہ سہل پأٹھی کتھ تران آسہِ۔یس کم
احساس آسہِ۔
ژمہِ ژر:۔راتہ کرٚ یل۔
ژمہِ ڈنڈ:۔جسمانی میحنتھ۔ ژو ڈنڈ۔ دیا رو بیترِ
رنگو مدد گرتھ نہ ہیکنہِ کنی میحنتھ گرِتھ پنُن حصہِ
ادا کرُن۔ ہمدردی ہاونہِ باپتھ پونسہِ نہ دِتھ ہیکُن
تہ تمہِ بدل کام کوٗٹ گرِتھ پنُن حصہِ دیُن۔
ژم پھلنِز:۔ا۔ مُسلہِ بُسہِ ہیُن۔ سخ کام گرِتھ مُسلہِ
ژھبُن، مُسلس کپِنِز وو تھنِز۔۲۔ (ورگہِ پأٹھی)
سخ میحنتھ کرِنی پینِز۔
ژم ژھج آسنِز:۔(کانسہِ پینِز ہِندِ وارِ وتہ آسنہِ کنی)
دِل خوش آسُن۔فِکرِ نہ آسنِز۔
ژم گالنِز:۔ا۔(ورگہِ) سخ میحنتھ کرِنی پینِز۔۲۔
سخ میحنتھ کرناوِنی۔
ژم ماناڈِ ہنِز:۔(ورگہِ) سخ میحنتھ گرِتھ تہ نہِ
کینہہ پلہِ پیوٗن۔

ژمتکار :-(ن-مؤل: ژمتکار <س: چمتکار)-
ا-تیٚتھ کینٛہہ یتھ پٔتھ اِنسان حأران گژھہِ-
کرامأتھ-کرٔشمہٕ-۲-کانٛہہ نٔوے کتھا-عۆجوبہٕ-
ژمتکار ہاوُن :-کرامأتھ ہاوٕنۍ-کانٛہہ عجیب
کرشمہٕ کرُن، نٔوے کتھا ہأوِتھ دِنۍ-
ژمُر :-(ن-مؤل: ژمر <س: چرٕمہٕ کار) دالہٕ کأم کرن
وول-مۆچ-پأزار بیترِ بناون وول-سراج-
ژمُن :-(ن-مؤل: ژم <س: چرمہٕ)-ا-(رَس)
موژُن (پاکھ دِنہٕ ءِ ستۍ)-۲-شرٕ وٕکُن-اَژُن-
زٕچھِر یا کھجرِ کنۍ کم گژھن-۳-بٔچُن-پتھ کُن
روزُن-۴-اَنٛتہِ یُن-وبژُن-فِکرِ کھسُن-
مَنَس ہہن مَنَس شرٕ پُن-
ژٕمتھ گژھن :-خجِل گژھنہٕ کنۍ لۆرۍ شرٕوکن-چھِتہٕ
گژھن-شرمنٛدٕ گژھنہٕ کنۍ نہٕ کتھ تہٕ پھۆرٕنۍ-
ژمپھ :-(مؤل: ژمپ <?) (کانٛہہ کتھ مأنہٕ راونہٕ یا
لیہ اَنٛنہٕ باپتھ کرِنۍ ءِ ستۍ) نخرٕ، ناز، وَر-
ژمُٹھن :-(ن-مؤل: ژمٹھ <پراکرت: چمٹھ)
تازٕگی ختم گژھنۍ-گیٚنہِ اَژنہٕ-ہوکھُن-ہوکھتھ
موژُن-
ژن :-(م-مؤل: ژن <?)-ا-گیُن پھکھ-پھکھ
یُس گٔہس، گرٕمتِس تہٕ گینِس بیترِ یوان چھُ-
۲-گاسَس تہٕ گینِس بیترِ بنأوِہو پاہ-ہوتمت
گیُن بیترِ یُس پأش بدل ترٕ اوان چھِہ-بوجر-

ژن گژھنۍ :-گاسہٕ یا گیُن بیترِ ہوژُن تہٕ تتھ پھکھ
وۄتھُن-ہوژُن-
ژن وۄتھنۍ :-گیُن پھکھ وۄتھُن-گرٕمتِس تہٕ گٔہس
بیترِ گاندٕ تنۍ-
ژندَن ششٹی :-(م-مؤل: ژندَن ششٹی <س:
چنٛدنہٕ+ ششٹھی)-زرمہٕ ستمہٕ-برونٹھِم دوہ،
اَمہِ دوہہٕ چھےٚ بٔٹنہٕ سرٕ ان سوندر کران، ژندَن
متھان تہٕ دوہس فاقہٕ تھوان-
ژندَن ہار :-(ن-مؤل: ژندن ہار <س: چنٛد نہٕ+
ہار) اَکھ وَس یتھ ژٔندرٕ رگرِتھ چھِ آسان-یہِ
چھُ ہارکہ پأٹھی نألۍ ترٕ اونہٕ یوان-یہ لفظ چھ
ژٔندرٕ ہار لفظُک بِگار-
ژندُن :-(ن-مؤل: ژندن <س: چنٛدنہٕ) اَکہٕ
قسمُک خوشبودار کُل یا اَمِچ لُکٕر-۲-مرمایہ-
م: وٕنۍ وٕنۍ ژندن-
ژندَن بُر :-ژندَن ہچہٕ ڈٕلتھ یا زٕلتھ تکمُت دبل یا اَ
میٚگ چوٚر-
ژندَن دار :-ا-ژندن کُل-قیمتی لُکٕر-۲-(ورگہٕ
پأٹھی) مولُل چیز-
ژندَن کاج :-پأتر یتھ پٔٹھ ژندَن گھہنہٕ یادٕ گنہٕ یہِ-
ژندَن رج :-ا-ژندن کُل-۲-(ورگہٕ پأٹھی)
مأرۍ منز-
ژندَن مأنگن :-سُہ ژندَن ٹکہٕ یُس پأترِ پٔٹھ

گھبنہٕ یوان چھُ۔

ژَنڈ:-(م۔مؤل: ژَنڈ) <س: چنڈا)۔ باٗبتھ ناکھ ژٲنی۔ڈاٗن۔م:وودالکنی۔ژنڈ۔

ژَنژوٗل:-(مؤل: ژَنژوٗل <س:چَنچلہ) ڈٔنجہٕ نہٕ روزن وول۔ وُتہٕ مُکھی۔یُس کُنہٕ پٲٹھ قرار آسہٕ نہٕ۔

ژَنژلاز:-ژَنژل آسُن۔اَکی ہے نہٕ پٲٹھ نہٕ آسُن۔

ژَوٗل:-(م۔مؤل: ژوٗل <؟)۔ا۔لوکٹ دال نٲر۔٢۔دال ڈورنگ تیوٗت حِصہٕ یُس اکہٕ پھرِ ننبہٕ ترٛبن منز ییہ۔ تیوٗت زمین ییتِس اکہٕ وِزِ پان ٹو مراٗ وِتھ تھل یا ننبہٕ کرنہٕ ییہ۔

ژَولہٕ پھیٚر:-ننبہٕ جماٗژہُنڈ ڈوٗرِس منز اکہٕ پھراکہٕ بِر پٲٹھ دوٚیمہٕ بِر تام ننبہٕ کران گژھن۔

ژَیتنیہ:-(م۔مؤل: ژَیتنیہ <س:چیتَنیَہ)۔

ا۔ ژیتن۔شوٗعوٗر۔ ٢۔ تھدِ تھٔر روٗحانی آگہی۔ ٣۔(ورگہٕ پاٗٹھی) ماز۔نیٚنہٕ۔

ژاپُن:-(ن۔مؤل: ژاپ <پرٛاکرت:چپّہ)

ا۔ژاپھ دِنی۔دَنٛدٕ وودھ تھٲنی لایق نہٕ تھوٗن۔صوٗرتھ نہٕ تھوٗنی۔٣۔(ورگہٕ پاٗٹھی) کانٛسہٕ ہُنٛد مال کھیوٗن۔

ژ اُپتھ ژھنُن:-(ورگہٕ) روٗبس تل اَنُن۔دباوُن۔کانٛسہٕ دبار کرُن۔

ژاپھ:-(م۔مؤل: ژاپ <پرٛاکرت : چپّہ <س: چپ ۔م۔ہ: چپنا)۔ا۔ژاپُن۔دَنٛدو بیترِ ستی پرٛیشنٛج کام۔٢۔(ورگہٕ پاٗٹھی) (کنٛیکہٕ) شیٚر۔

پُشکہٕ۔٣۔غور و خوض۔کتھ واتنٛج فِکر (کرٛنی)۔

ژاپھ اَژنی:-پُشکہٕ اَژُن۔وُلٹہٕ پاٗٹھی گنٛج ہاٗل گژھنی۔شیٚر اَژُن۔

ژاپھ دِنی / دیُن:-ا۔ژاپُن۔دَنٛدٕ وٕستی بڑکُن تہٕ ننگلاوُن۔٢۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) مَنہٕ مُنزی داٗنرُن، وِل دیُن (کتھِ بیترِ)۔

ژاپھ ژاپھ دِنی:-غور و خوض کرُن۔(کُنہٕ کتھِ) سَنُن۔

ژاپھ ژانٛنی:-پُشکہٕ ژانُن (کانٛسہٕ) شیٚر ژانُن۔ وُلٹہٕ پاٗٹھی کُنہٕ ستی ہاٗل کرناوُن۔

ژاتکھ، ژاتکھ پچھن:-(ن۔مؤل: ژاتکھ پچھن <س: چاتکہ) اَکھ پچھن ذاتھ۔ ٹیچہ ہور پچھن۔

ژاٹُن ا:-(ن۔مؤل: ژاٹُن <س: چاٹنہ)۔ا۔کانٛسہٕ ہٕنز کتھِ بیترِ اَندر منٛزی پنٛن تہٕ کینٛژھا وَنُن۔ اورُک یور وَنُن۔پنٛنی کنی تہٕ کانٛہہ کتھ رَلاوِنی۔ ٢۔بحثس بیترِ اَندر اور چہ یور چہ کتھ کرنہٕ۔ فضوٗل کتھ کرنہٕ۔(بحث بیترِ کرن وِزِ)۔

ژاٹُن ٢:-(م۔مؤل: ژاٹُن <؟)۔ا۔ٹوٗٹی۔کپسہٕ ٹوٗٹی۔٢۔(ورگہٕ پاٗٹھی) شیٚر ژاٗر۔

ژاٹُن کڈنی:-ا۔ ٹوٗٹی کڈنی (کپسہٕ بیترِ)۔ ٢۔(ورگہٕ پاٗٹھی) شیٚر ژاٗر کرٛنی۔اِصلاح کرُن۔

ژاٹھ:-(ن۔مؤل: ژاٹ <پرٛاکرت: جٹّہ)۔ ا۔شاگرد۔یُس ووستہٕ کارس نِش ہیٚچھان آسہٕ۔ پرٛن وول۔ہیٚچھن وول۔٢۔مُرید۔سالِک۔

شِشں۔

ژاٹہٕ بوج:-کأنسہِ ژأنس ءستیٚ پرَن یا ہیٚچھن وول بیٚیہ کانہہ ژاٹھ۔

ژاٹہٕ شُر:-مأصُم ژاٹھ۔

ژاٹہٕ کۆر:-کۆر یوسہٕ ووستہٕ کارس نشہٕ ہیٚچھان آسہٕ۔

ژاٹہٕ کۆٹھ:-ژاٹہٕ شُربن ہنٛدِ بیٚہنگ اَکھ خاص طُریقہٕ یتھ اَندر کۆٹھی زۆٹتھ سأٹم زَنگہٕ پیٚتھرس ءستیٚ دنہٕ یوان چھےٚ۔

ژاٹہٕ کۆٹھ کرُن:-کۆٹھی زۆٹتھ تہٕ سأٹم زَنگہٕ پیٚتھرس ءستیٚ دِتھ بہُن۔

ژاٹہٕ گدٕر:-لو کُٹ ژاٹھ۔

ژاٹہٕ ہال:-(ن۔مؤل: ژاٹہٕ ہال<پراکرت: چٹّہ سالا<س: چھاتر شالا)۔ا۔سو جاے ییٚتہٕ ہیٚچھان چھِ۔ ییٚتہٕ ہیٚچھنہٕ ییہ۔ مدرسہٕ۔ سکوٗل۔ ۲۔کارخانہٕ (یُتھ پأٹھی جالکھ دۆزن بیترِ ہنٛد)۔

ژاچھر:-(ن۔مؤل: ژاچھر<س: چکر) ژوکبر۔

ژادَر:-(م۔مؤل: ژادر<ف: چادر)۔ا۔منٛج دَجہٕ چھل یوسہٕ وَلنس وٗرنس بیترِ لگان چھےٚ۔۲۔گنہ داتگ زیۆٹھ تہٕ کھۆل پۆٹ۔ مِ: ٹینہٕ ژادَر۔ ۳۔آب یُس کنےٚ پۆٹ ہیٚوٕ وَسہٕ۔ مِ: رۆدٕ ژادَر۔ پاں ژادَر۔

ژادَر اَندٕ زی:-سِکُن ہُنٛد کھاندر کرنگ اَکھ رٕسم ییٚمہٕ مۆجوٗب تِم مونڈِ ءستیٚ کھاندر کران چھِ۔

مونڈِ ءستیٚ کھاندر کرنگ سِکن ہُنٛد اکھ رٕسم۔

ژادَر گلہٕ وِنی:-ا۔ژٕژھ ہاوٕنی۔۲۔جمایتھ کرٕنی۔

ژادَر وائنیٚ:-(ورگہٕ) بےٚ وقری کرٕنی۔ دۆتھ وائنیٚ۔مِ: دستار والُن۔

ژادَر وُچھتھ کھور وَہراوُنی:-تہٕ دٕپتھ گوتیۆتےٚ خرٕچ کرُن یۆت گُذارٕ آسہٕ، یۆت بتر آسہٕ تیۆت کاڑ کڑُن۔فضوٗل خرچی نہ کرٕنی۔ خرچس برچس اَندر نہٕ حدٕ نبر نیرُن۔

ژادرِ ہیٚنیٚ:-(ورگہٕ) کھوژنہٕ کنیٚ یا بزدِل آسنہٕ کنیٚ ژۆرِ روزُن۔ گُپتھ بہُن۔

ژادرِ پیٚٹ:-اوکتأش ژادر۔ژادر یوسہٕ اوگنی وَلنہٕ ییہ۔

ژادرِ جورٕ:-دۆ گُنی ژادَر۔

ژادَر زٕٹ:-ژھینٛنہٕ ہۆتہٕ پرانیمٕژ ژادَر یوسہٕ نہٕ وَلنیٚ لایق آسہٕ۔

ژادرِ شِکھر:-ژھینٛنہٕ ہۆیارٕ نیمٕژ ژادَر۔ژادر یتھ رینٛچہٕ وَژھمٕژ آسَن۔

ژار۱:-(ن۔مؤل: ژار<س: چار)۔گردِش (یُتھ پأٹھی گرٕ یٚہند بن ہیٚژ) مِ: گرٕ ہہٕ ژار۔

ژار۲:-وُچھو ''ژٕژار''

ژارَو:-(ن۔مؤل: ژارو<س: چارُ+رَو)دوٕزِج تونٛتھ تہٕ کرٕ یٚہنہٕ پکھہٕ گُرتھ اَکھ پچھن۔

ژارُن:-(ن۔مؤل: ژار<?)۔ا۔ بیۆن کرُن۔ واریاہو أندٕرٕ تھۆدتھ اَلگ کَن تھاوُن (پسند

گرِتھ) ۔مِ: سودا ژارُن ۔۲۔ کُنہِ کامہِ بیترِ
باپتھ مُشخص کرُن۔ انتخاب کرُن۔ چُناو کرُن۔
۳۔صاف کرُن (پھَل یا توُمُل بیترِ)۔ توُمُلس
کنہِ بیترِ ہیُون ۔مِ: توُمُل ژارُن ۔۴۔(زیُو)
کڈُن ۔مِ: لبکھ ژارِنی۔ ووہوژارُن ۔۵۔سبزی
بیترِ منزٕ تہِ الگ کرُن یہِ نہٕ رَنُن لایق آسہِ۔
مِ: سبٕنگھ ژارُن ۔۶۔ جان تہٕ ناکارٕ الگ الگ
کرُن ۔مِ: چھٕتری تہٕ کرٕہنی ژارِنی۔

ژأرِتھ تھوُن :- ژأر گرِتھ تھوُن۔

ژأرِتھ کڈُن :-۱۔ ژأر گرِتھ اَلگ کُن تھاوُن۔
ژارُن۔ واریاہو أندرٕ اَکھ اَلگ کُن تھوُن یا
الگ کرُن ۔۲۔ سبٕتھاہ ہَو أندرٕ پسند کرُن۔
۳۔اَنٛزٕ منزٕ کانٛہہ رَٹُن۔

ژاژاہ:-(ن۔مؤل: ژاژاہ <؟) ژَل بُتھِس پٹھ
اکہِ گاٛمُک ناو۔ اَتہِ اوس کاغذ بنان۔

ژاس:-(م۔مؤل: ژاس<س: کاس/کاسا)۔۱۔ ٹٕسس یا
شاہ نالہِ رُکاوٹھ ہنہٕ کنٛی زورٕ سان شؤشہِ نارِ پٹھ ہوا
کھسنٛچ آواز۔ ٹھوہہ ٹھوہہ۔۲۔ سِلہِ بیمأری۔

ژاسہِ ٹوکھ:- (اکھ ٹھوہہ۔

ژاس کرِنی :-۱۔ زورٕ سان شؤشہِ نارِ پٹھہِ شاہ
کھارُن تہٕ بڈٕ بڈٕ ٹھوہہ ٹھوہہ کرُن ۔۲۔(ورگہ
پأٹھی) یَب کرُن۔ خیانتھ کرُن۔

ژاس تنٛز :- ٹٕسس یا شاہ نالہِ رُکاوٹھ ہنہٕ کنٛی زورٕ
سان ٹھوہہ ٹھوہہ گژھن۔

ژاشَر :-(ن۔مؤل: ژاشَر <؟ دوُچھوژوش)۔
۱۔ژاچھر۔ ژوکبر ہیُو۔

ژاکہٕ ؤٹ :- یَن یُس ژادَر وأٹلتھ دورِ پٹھ پتھ کُن
روزان چھُ۔ ژادرٕ دَشن ہُند تراش یا پھیوٚت بیترِ۔

ژاکہٕ وأر :- ژھٹہِ شِکأری یتھ منزٕ باگ زانٛپانہٕ
ہیُو گرِتھ آسہِ۔

ژاکتھ :-(ن۔مؤل: ژاکت <س: چکرتوم) ژوپأرۍ
پھیرُن۔ طواف۔ پرٛیدِ کھبن۔ کُنہِ أندرۍ
أندرۍ پھیرُن۔

ژاکتھ لاگُن :- سیٚزٕ وَتہِ پکنہٕ بدل وَتھ ڈألتھ
گژھن۔ أندرۍ ینُن۔

ژاکھ:-(ن۔مؤل: ژاک <س: چٹشکہ)۔۱۔(یکہ وٕٹہٕ)
ژور ۔۲۔ژومبر ۔مِ: کتھٕ ژاکھ ۔۳۔ بازس منزٕ ٹکۍ۔
بازس اندرٕ ژون ہُند بأتھ۔ مِ: ژاکھ پیٚنٛز۔

ژاکہٕ پھیُر :-(ژاکھ گنزران گنزران) گرٕ ثرٕ پھیُر۔

ژاکھ پیٚنٛز :-۱۔(زارس بیترِ منزٕ) باز پیوٚن ۔بأتھ
پیوٚن ۔۲۔(ورگہ پأٹھی) کتھ بیترِ برابر تہٕ تھ
بشاشتھ گژھنی۔

ژاکھ کرِنی :- دلنہ لوٚنتھ ژورٕ ژورداں لأٹھ یکہ وٕٹہٕ تھوِنی۔

ژاکھر :-(م۔ مؤل: ژاکھر <؟ دوُچھو "ژاس") ۔
۱۔ژاسہِ ٹوکھ یُس کأنسہِ ہُند دیان پانس کُن
پھرنہٕ یا کأنسہِ ژینہٕ وَن دِنہٕ باپتھ اُکھتھ

کرنہٕ یِیہِ۔۲۔ ژاس ہش (ہرٕ چ آواز)۔۳۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) اِشارٕ۔ ژِینہٕ وٕنۍ۔

ژاکھر کرٕنۍ:-ا۔ کاٗنسہِ ہُنٛد دیٚان پانس کُن پھرنہٕ باپتھ یا کاٗنسہِ ژِینہٕ وَن دِنہٕ خاطرٕ نٔکۍ ژاسہِ ٹوٗکھا کرُن۔۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) اِشارٕ دیُن۔ حبس دیُن۔ ژِینہٕ وٕنۍ وٕنۍ۔

ژال۱:-(م۔ مؤل: ژال<م)۔ا۔ منٛز اَتھ۔ منٛز اَتھس بنوومُت پیٚالہٕ ہِیُو (پوٚنۍ ہیتھ رٹنہٕ باپتھ) ۲۔ تیوٚت یوٚت منٛز اَتھس ولتہٕ۔ مِ: اَش ژال۔

ژالہِ ژالہِ اوٗش ترٛ اوُن:-دِگنہِ اوش ترٛ اوُن۔ سخ وَدُن۔ مِ: اوٗش چھسیا ترٛ اوان ژالے ژالے

مےٚ ہابالہِ گوٚ ژھم ژٕے

(حبہ خوتوٗن)

ژال۲:-(م۔ مؤل: ژال<م) سیٖر۔ توٗمُلس گاٚمتۍ نِکۍ نِکۍ پھٔلۍ۔

ژاٗلن:-(م۔ مؤل: ژاٗلن<س: چالنَہ)۔ا۔ بٔچھو یا شُسترٕ وغیرٕ لٔٹۍ دار پوٗترٕ یِیمہِ ستۍ کانگرِ ووکھر کران چھِ۔۲۔ بٔچھو ٹاسٕر چونچہٕ یِیمہِ ستۍ لیٚچہ منٛز بَتہٕ کَڈان چھِ۔ مِ: بَتہٕ ژاٗلن۔۳۔ رٔمۍ یِیمہِ ستۍ کاندرٕ تخٔتس تِچھان چھِ۔

ژاٗلُن:-(ن۔ مؤل: ژال<س: چالِیَتہ)۔ پیٚترُن۔ برداش کرُن۔ ژٔبڈ کرٕنۍ۔ صبر ہیوٚن۔ وَتہٕ راوُن۔ ژٕرٕوُن۔

ژاٗلن بانہٕ:-برداش کرنٕک طاقتھ۔ قوتِ برداش۔ صُبرُک ماد۔

ژاٗلن وول:-یُس ژالہِ۔ یُس برداش کرِ۔ ژٕروَن وول۔

ژاٗلن ہار:-ژاٗلن وول۔ برداش کرن وول۔

ژامَر:-(ن۔ مؤل: ژامر<س: چامَر) زومبہٕ گاوہٕ ہنٛدِس لٔٹِس بنوومُت مٔچھ وامُن، گٔج گاہ یا دالہٕ گوٚنٛد۔

ژامَر کرُن:-ا۔ گٔج گاہ کرُن۔۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) رِواج غارُن۔ مخرجہٕ کھارُن۔ تھٔر کھارٕنۍ۔

ژامن:-(م۔ مؤل: ژامن)۔ دودس پھاٹوٗتھ بناونہٕ دَتھ ہش یا موٚنٛڈ ہش۔

ژامنہِ ٹٔپر:-ژامنہٕ لوکھر۔

ژامنہٕ ژکُل:-ژامنہٕ موٚنٛڈس ژٕٹنہٕ آمُت۔ اکھ خاش۔ وَننہٕ باپتھ ژامنہٕ قتلہٕ۔

ژامنہِ موٚنٛڈ:-ژامنہِ ہُنٛد ساٗلم ٹُکرٕ (ییٚتھ نہٕ وٕنہٕ قتلہٕ کٔرۍ متۍ آسَن)۔

ژاٗنٕن:-(ن۔ مؤل: ژان)۔ا۔ (کُنہِ خاٗلی جایہِ ہیترٕ اَنٛدر ربرُن۔ (گٔڈس یا سرٕ وَسیہترٕ منٛز)۔ برُن۔ تارُن۔۲۔ سالہِ اَنُن۔ مِ: گرٕ ژاٗنٕن۔۳۔ ہاٗل عادَتھ ہیترٕ پاٗدٕ کرُن۔ کٔنٛگ ژُشکہٕ پاٗدٕ کرُن۔ مِ: تموک ژاٗنٕن۔ بازر ژاٗنٕن۔۴۔ (کینہہ) سپداوُن۔ مِ: چھٔنگ ژاٗنۍ۔ زٕزر ژاٗنٕن۔ ۵۔ کینہہ بناوُن یا بنٔنہٕ دیُن۔ کینہہ پاٗدٕ گرٕھنہٕ دیُن۔ مِ: پھٔٹھ ژاٗنۍ۔ داغ ژاٗنٕن۔۶۔ پٔشہِ

تھوٗن یالاگُن۔ وأتِھ تھوٗن۔ لأ رِگتھ تھوٗن۔
مِ: ذٔج ژانٛژ۔ ۷۔ وپتر اوُن۔ مِ: پان ژانُن۔
۸۔ گُنہِ اَندر کینْہہ سُتُن یا ٹھکُن۔ مِ: کیٖل ژانُن۔
سِرٕن ژانٛژ۔ ۹۔ کامہِ بیتر ہُند سَتر کرنہٕ باپتھ ہتھی ریار بیتر ٹٔلُن۔ مِ: اکہٕ ژانُن ، دزوت ژانُن۔ ۱۰۔ گُنہِ پپٹھ واتہٕ ناوُن۔ کینْہہ کرنس پپٹھ واتہٕ ناوُن۔ مِ: باکن ژانُن۔

ژاپُھ۱: -(م۔ مۄل: ژاپ < س: چَپ) مُٹھ مَدار۔ شابش شابش۔ دِلاسہٕ مَدار۔

ژاپُھ کرٕنۍ: -۱۔ مُٹھ مَدار کرُن۔ شابش شابش کرُن۔ ۲۔ تھٔز کرٕنۍ۔

ژاپُھ۲: -(م۔ مۄل: ژاپ < پراکرت: چھمپہٕ < س: کشمپہٕ)۔ ژھاپُھ۔ أچھن کِہ پہن بوزنہٕ ییُن۔

ژانگُن: -(ن۔ مۄل: ژانگن < ؟)۔ ۱۔ وٕتھر یُس وانگُن نلس لور آسان چھُ۔ ۲۔ اکھ گاسہٕ ذاتھ، اَمہِ کِس پھلس چھ دوا بناوان۔

ژانگُن گُل: -گاسہٕ یتھ ژانگُن نیران چھ۔

ژاوَن: -(م۔ مۄل: ژاوَن) بچھہٕ وٕنی سُندا اگادِ گرُھن۔

ژاہ ژاہ دبد: -(ہنگہٕ منگہٕ) بڑ دبد۔

ژٕ ڈوأر: -(م۔ مۄل: ژٕڈوار < پراکرت: چڈ + ؟) ۱۔ لوگٹ ژوڈ۔ ۲۔ شُربن ہُند ژول دِتھ وارِ بیترِ کبتھ بتہٕ سیٚن رٔنُن۔

ژٕ ڈوأر کرٕنۍ: -شُربن بیترِ ہُند ژول دِتھ وارِ بیترِ کبتھ بتہٕ سیٚن رٔنُن۔

ژٕر۱: -(م۔ مۄل: ژَر < س: چڑ (پٹہٕ)۔ ۱۔ دون تژبن گاسہٕ بدبن بنومُت گُنے لوو۔ مِ: بٔڑ ژٕر۔ ہاکہٕ ژٕر۔ ۲۔ تگ۔ ہنٛدل۔ مِ: ٹأ کی ژٕر۔

ژٕر۲: -(م۔ مۄل: ژر < س: چڑ (پٹہٕ) اَتھِ زٕ وانٛژ آواز۔ ژٕرپۆپ۔

ژرپۆپ: -(ن۔ مۄل: ژَرپَپ)۔ ژٕر۔ خوش گرٕھتھ یا کأنْسہِ شابَش کرنہٕ باپتھ زورٕ زورٕ اَتھِ وانٛژ۔

ژَرپۆپ کرُن: -۱۔ شاباش کرُن۔ مرحبا کرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ) شُنگر کرٕنۍ۔ ٹاوس ٹٔلُن۔

ژَرِ مۆنڈی ٹٕلٕنۍ: -زورٕ زورٕ ژٕر وانٛژ (کأنْہہ ریٚژھ ہِ ٹلنہٕ باپتھ)۔

ژٕر کرٕنۍ: -ژَرپۆپ کرُن۔ کأنْسہِ شابَش کرنہٕ باپتھ یا گُنہِ پپٹھ خوش گرٕھتھ زورٕ زورٕ اَتھِ وانٛژ۔

ژٕر وَزٕنۍ: -۱۔ ژَرپپیگ صدا نیرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) ٹاوو تھٕرُن۔

ژٕر وانٛژ: -وُچھو "ژٕر کرٕنۍ"

ژٕر۳: -(م۔ مۄل: ژَر < وُچھو ژوڑ) "ژوڑ" لفظُک مادِ۔ گنٛج۔ یُڑ۔

ژربن کتھن نہٕ سۄد تہٕ ژربن گگراین نہٕ رُد: - تہٕ دُپتھ گوز یادٕ کتھن چھُنہٕ فأیدِ آسان۔

ژٔرٕ:- (م۔مؤل: ژٔر > س: چٔگہٕ)۔ا۔میژ کا ژٔرِ رنگہٕ اَکھ لوٗکُٹ جاناوار، یُس پأٹھی پنٔہِ ژیٖہس یا ژٔن بیترِ تل اول بناوان۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) بڑ۔نِچ (کانٛہہ ژٔنی)

ژٔرِ بچہٕ:-ا۔ژٔرِ ہُند بچہٕ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سیٹھاہ نِیک تہٕ کمزورٕ انسان۔

ژٔرِ بۄندوٗق:-ا۔بۄندوٗق یمہٕ سٟتۍ جاناوارَن ہُند شِکار کران چھِ۔ چھرٕ بۄندوٗق۔
۲۔(شُر بن ہُند) اکھ گِندن تماشہٕ۔

ژٔرِ پُرٕ بی:-کھۄ کھ (فصلس جانورو نشہِ بچاونہٕ خأطرٕ)

ژٔرِ تُل:-(م۔مؤل: ژٔرِ تُل) تُلُن ہُند اکھ قسم۔
اَتھ چھنہٕ مزٕ یارس آسان۔

ژٔرِ توٗمُل:-(ن۔مؤل: ژٔرِ توٗمل) اکھ گاسہٕ ذاتھ۔

ژٔرِ چھُ گِنڈی تھَرِ پٮ۪ٹھ راتھ:-تہِ ژُہتھ گوگرٕ ہے خبرٕ کٔتہٕ تہِ بےٚ آرأمی آسہِ توتہِ چھُ گرٕ گرے۔پٔنٛن گرِ بنہٕ نہٕ کُنہِ۔یَس یتہِ پأٹھی ہأل آسہِ سُہ چھُ تتھے پأٹھی خوش روزان۔

ژٔرِ دود:-(ن۔مؤل: ژٔرِ دود) (ورگہٕ) یہٕ نہٕ بنہٕ وُن آسہِ۔نایاب گرٛۄہن۔

ژٔرِ دودگرٛۄہن:-کانٛہہ گرٛۄہن۔نہٕ بۄن گرٛۄہن۔
نایاب گرٛۄہن۔

ژٔرِ رأچھ۔(ژٔرِ روچھ):-ا۔کھاہس اَندر ژٔر بن بیترِ چھگ ژأنُن وول۔۲۔سہٕ وَق یِلہِ دانٛس

بیترٕ مایہٕ کھسان چھُ تہٕ جاناوارَن نِشہِ بچاونہٕ باپتھ رأچھ چھس پہوان کرٕنی۔م: یہٕ لوٗکُٹ حض زایوو ژٔرِ رأچھ کیٛتھ۔

ژٔرِ صابن:-اَکھ کُچھ ذاتھ۔

ژٔرِ کلہٕ:-ا۔یَس لوٗکُٹ کلہٕ آسہِ۔کلہِ ٹھُپُل۔
۲۔(ہزلہٕ) نِیک تہٕ نہٕ ہیکن گوٚرٕ انسان۔

ژٔرِ لِژھج:-(م۔مؤل: ژٔرِ لِژھج)۔اَکھ گاسہٕ ذاتھ، اَمیُک بیٛؤل چھُ دولتہِ اَتھ چھِ مازنہٕ تہٕ بناوان۔

ژٔرِ نم:-(ورگہٕ) سیٹھاہ لوٗکُٹ چیز۔پیٛؤنتاہ۔

ژٔرِ نہٕ تارٕ لگن:-(ورگہٕ) سخ رٕۄ دیاشٔہن پیٛون۔
اَژھن پأٹھی رٕۄ دبیترٕ والُن۔

ژٔرِ وانٛٹھ آسُن:-ا۔(ورگہٕ) لوٗکُٹ دِل آسُن۔
لوٗکٹ وأنٛج آسٕنۍ۔۲۔(ورگہٕ) بۄرتھ نہٕ آسُن۔دل نہٕ آسُن۔۳۔(ورگہٕ) وپن بانہٕ نہٕ آسُن۔۴۔(ورگہٕ) کوٚنڈ آسُن۔کانٛسہِ کینٛہہ دِین نہٕ وانٛٹھہِ پھیرن۔

ژٔر بن ہار بن سٟتۍ کتھِ کرنہٕ:-تیٚتھ کینٛہہ کرُن یہٕ نہٕ مجر ایِیہ۔

ژٔرِ چھے پھلہِ دادی حأران:-تہِ ژُہتھ گوانسانس ہے سیٹھاہ ہے سیٹھاہ کم تہِ ضوٚرٕ رٕۄ ریاتھ آسُن، تم حأصل کرٕنی تہٕ چھُنہٕ سہل کتھ۔وٕستھ پأیس تہِ چھِ پٔنٛز پأٹھی تتھی مُشکل آسان تتھی بڑس آسان چھِ۔

ژٕرِنٛ :-(م۔ مؤل: ژٕرن <س: چَر) کاٗنسہِ ہنٛز پھوشٕنۍ، ژوٕکنۍ، کاٗنسہِ ہنٛز کتھِ بیترِ ستۍ کھُژٕ ہٕژ تٕر ، سخ ژٕ کھ۔

ژٕرِنٛ ووٚتھنۍ :- تٕر کھسٕنۍ۔ سخ شرارتھ کھسُن۔ ژٕ کھ ہسٕنۍ

ژٕریکھ :-(م۔مؤل: ژٕریک <س: چٕٹکا)۔ (ورگہِ) اُوِج تہٕ زاُوِج زنانہِ۔

ژٕرواٗر :-(م۔ مؤل: ژٕروار <پزاکرت: چٕڑنہٕ+س: وار)۔ ژٕڈواٗر۔ یتھ اندر تُہر بیترِ رنان چھِ۔

ژٕروارِ پھۄل :- ژٕروارِ ہنٛز تُہر یوسہٕ باٗرون ہٕندۍ ناٗوۍ باٗگران چھِ۔

ژٕرواٗرکرِنٛ :- ژٕڈوارِ اندر تُہر رَنٕنۍ۔

ژٕستھ یُن :- وُچھو "ژٕسُن" لفظس تل۔

ژٕکر :-(م۔مؤل: ژٕکر <س: چکر)۔ ژٕکھر، یٔندرِ چ تھھ۔ وُچھو "ژٕکھر" تہٕ۔

ژٕکوٗٹ :-(م۔مؤل: ژٕکوٗٹ <س: چکرٕ+پٹہ) یٔندرِ تلِس یونہِ کھارنہٕ چھِ جایہِ ولنہٕ آمُت پَن۔ یٔندرِ تلِس وۄلمُت پَن۔ یتھ پٹھ یونہِ کھسان چھُ۔

ژٕکرِ ورتھ راز :-(ن۔ مؤل: ژٕکر ورت راز <س: چکرٕ ورتہٕ+راجا) بوٚڈ بادشاہ۔ شہنشاہ۔

ژٕکریشور :-(ن۔ مؤل: ژٕکریشور <س: چکرٕ یشور) زکٔنگ ماٗلکھ۔ ویشنؤ سُند اکھ ناو۔

ژٕکھر :-(ن۔ مؤل: ژٕکر <س: چکرٕ)۔ ۱۔ چکر۔ پہیہِ۔ ڈُلہِ۔ ۲۔ مَنڈُل۔ آرِ۔ ہالہِ۔ گول داٗیرِ ہیُوٚ۔

۳۔ یٔندرِ چ تھھ۔ ۴۔ گرکنۍ چالہِ۔ کانٛہہ ہتھۍ یار۔ ۵۔ ٹوٗ گُج۔ مَنٛڈِ ج (لوٗکن بیترِ ہنٛز) ۶۔ کزالہِ سنٛز ژٕٹ۔ کزالہِ ژٕکھ۔ ۷۔ کانٛہہ بوٚڈ علاقہِ۔ ۸۔ لاٗنۍ پھیُر۔ قِسمتُک ور۔ لون۔ قسمتھ۔ ۹۔ تھٕر گنٛڈس منٛز کونڈالنۍ بیداٗری ہٕند بو مقامومنٛز اکھا۔

ژٕکرس پھیرُن :- چکرِ پھیرُن۔ اَندۍ اَندۍ نژُن (کُنہ)

ژٕکراکار :-(ن۔مؤل: ژٕکراکار <س: چکرٕ اکار) گرکنۍ ہیُوٚ۔ گول۔ بگر چالہِ۔ آرِ ہیُوٚ۔

ژٕکرِ پھیُر :- ۱۔ قِسمتُک پھیُر۔ قِسمتُک ولُگُن۔ ۲۔ زمانٕچ تبدیلی۔ اِنقلاب۔

ژٕکرِ مدُن :-(ورگہِ پاٗٹھۍ) سُہ یُس ووکھہِ پاٗٹھۍ زنانن پتہٕ لۆگمُت آسہِ۔

ژٕکرِ مانٛڈے :- ۱۔ (آبس بیترِ تلمُت) گُہلُن۔ ۲۔ (ورگہِ) ڈُبہِ ڈاس۔ تِتھ اَتھٕ یمہِ ستۍ پتھٕم رُت کوٚرمُت راو۔

ژٕکرِ ہوٚر :- کھزاوِ جورِ یُس ربہٕ سنٛزن اندر لاگان چھِ۔ کھزٕ اوٚیوسہٕ یژ پاٗٹھۍ ربہٕ اندر گاٗرۍ وٕٹنہٕ وِزِ لاگنہٕ یوان چھےٚ یژ پاٗٹھۍ والہِ واشہِ دوٗ زلاگان۔

ژٕلراوُن :- ۱۔ لارژانۍ۔ چھگ کرِنٛ۔ ہارِ ناٗوتھ یا تنگ کرِتھ کاٗم یا جاے تژاونس پٹھ مجبوٗر کرُن۔ ۲۔ بکراوُن۔ م: دود ژٕلراوُن۔ ۳۔ (تصرف در بیترِ) کڈُن۔

ژٕمٕ اَر ۱ :-(م۔ مؤل: ژٕمٕ اَر < س: چَرمَہ + ہار) بِلَو وِچھ دالہِ پَٹ۔

ژٕمٕ اَر ۲:- ژٕمٕ یار۔ نچر سان لمب یوسہِ داں ژٕمینس آسان چھےٚ۔

ژٕندٕر:-(ن۔ مؤل: ژٕندر < س: چَندرٕ) ۱۔ زیوٕنی زٕون۔ نُو زٕون۔ ہِلال ۲۔ ژٕندٕر شکلہِ اَکھ زیور یُس ٹوپہِ بیتِر جَرنہٕ یوان چھُ۔

ژٕندٕر تہٕ یٕندٕر رٕژُن :-(ورگہٕ) خوش قسمتھ آسُن۔ اقبال مند آسُن۔ طالع آسُن۔ م: تِسنٕد گرِ چھُ ژٕندرتہٕ یٕندٕر رٕژان۔

ژٕندٕر کھسُن :- ۱۔ ژٕندٕر نوٗن نیرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) اِقبال یُن۔ قِسمتھ پھیرُن۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) وار یاہہ کاٗلی (کانہہ ٹوٹھ) بروٗنہہ کُن وأتتھ پنہٕ کٕنی سبٹھاہ خوش گژھُن۔

ژٕندٕر لوٗسُن :-(ورگہٕ) ناکارٕ دوہ تٕنی۔ بدٕ قسمتی ہٕن۔

ژٕندٕرکھ:-(ن۔ مؤل: ژٕندرک < س: چَندرٕ + اَنکہ)۔ ژٕندٕر ہیوٗ نشانہٕ یُس مور ہٕنزِ لچہِ پیٹھ آسان چھُ۔

ژٕندٕرم:-(ن۔ مؤل: ژٕندرک < س: چَندرٕ + اَنکہ) ژٕندٕر ہیوٗ نشانہٕ یُس مور ہٕنزِ لچہِ پیٹھ آسان چھُ۔

ژٕندٕرٕ ٹأچ:- ژٕندٕر شکلہِ بند ریجُرتھ اَکھ ٹوٗپی۔

ژٕندٕرٕ ژٕڑ:-(ن۔ مؤل: ژٕندرٕ ژٕڑ < س: چَندرٕ چوٗڑ) یُس تالہِ پیٹھ ژٕندٕر چھُ۔ شوناتھ سُند اَکھ ناو۔

ژٕندٕرٕ شیکھر:-(ن۔ مؤل: ژٕندرٕ شیکھر < س: چَندرَ شیکھر) شِو سُند اَکھ ناو۔

ژٕندٕرٕ کلا:-(م۔ مؤل: ژٕندرٕ کلا < س: چَندرکلا)۔ ۱۔ زٕونہٕ ہٕنز تیژ ہَن ییژ أکس دوہس اَندر بڑان چھےٚ۔ ۲۔ نُو زٕون۔ ہلال۔

ژٕندٕرٕ کلپُش :- ژٕندٕر جُرتھ اَکھ ٹوٗپی۔

ژٕندٕرٕ گرٕہُن :- زٕونہٕ گرٕہُن۔ زٕونہِ لوٗ گمُت گرٕہُن۔

ژٕ ندراین ژاپُن :- سأری ہے رتس (زٕونہٕ پچھس تہٕ گٹہٕ پچھس) توبہٕ کرنک فاقہٕ۔

ژٕندٕرٕ تارُک:-(ن۔ مؤل، ژٕندٕرٕ تارک < س: چَنترہ تارکہ) سُہ زیٹھ برٕہمَن یُس کانہہ، مذہبی رٕسم پوٗرٕ کرنس وَتھ ہاوِ۔

ژٕندٕرٕ وار:-(م۔ مؤل: ژٕندٕرٕ وار < : چَندرٕ وار۔ سُہ دوہ یُس آتھوارِ پتےٚ یوان چھُ، ییمہِ پتےٚ بوم وار یوان چھےٚ۔

ژٕندٕرٕ ہال:-(م۔ مؤل: ژٕندٕرٕ ہال < س: چَندرٕ + شالی) اَکھ داں ذاتھ، اَتھ چھُ پرٕژٕن توٗمُل نیران۔

ژٕنڈ :-(م۔ مؤل: ژٕنج < س: چَنڈ) ۱۔ (اَتھ یا لورِ بیترٕ سٕتی وولمُت) پرٕتھ، ٹاس۔ م: لورِ ژٕنڈ۔ کلہِ ژٕنڈ ۲۔ (واو بیترٕ چ) ژھٹھ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) کُنہِ قِسمچ کانہہ تباہی۔ پھٕش پھٕنڈٕری۔ ۴۔ وو باسہلاب یا نار بیترٕ۔

ژَنجہِ ژَنجہِ کرُن :- ژٕنڈ تہٕ ژٕنڈ لاتٕنی۔ لأےلأے اڈٕ مور کرُن۔

ژَنجہِ یار:- شُریس ژَنجہِ کھنیٚنج ژُنڈ آسہِ۔ چوبَن پیٹھ دریوٗمُت شُر۔

ژُنڈ ژھنۍ:- وُچھو "ژُنڈ لاینۍ"

ژُنڈ لاینۍ:- لورِ یا اتھہِ ستی پرٛتھ والُن۔ دَب لایُن۔ ٹاس ژھنُن۔

ژُنڈ ووٚتھنۍ:- پھَش ییُن۔ تباہی گژھنۍ۔ ٹپ ییُن۔

ژُنڈ ینۍ:- ووبا، سیلاب، نارِ یا کُنہِ بلایہ ستی تباہی گژھنۍ۔ پھَش ییُن۔ پھُنڈی ینۍ۔

ژُنڈٕکھ:-(م۔ موٗل: ژُنڈُک) ۔۱۔ (زاربن بیترِ ہنز) ہُتھ۔ ژوٗرَن یا زاربن بیترِ ہنز سَمَن جاے۔ زاری پینڈ۔ ماٹھ۔ ۲۔ سو جاے یوٚتہٕ ساری واتن۔ ییٚتہِ نِس واریاہن ہُنٛد آو گو آسہِ گو۔

ژُنڈی کہِ پیٹھ:- ۱۔ سَنہِ وانہِ ۲۔ تتھ جایہِ یوٚتہ ساری واتن۔ عام لوٗکن اَندر۔ منز بازرس۔

ژُنڈی:-(م۔ موٗل: ژُنڈی <س: چنٛڈی) ۔۱۔ دورگا بگوٗتی ہُنٛد اکھ ناو۔ ۲۔ (ورگہِ پاٹھی) تیز یا تژوش زَنانہِ۔ زَنانہِ یوسہِ مزاز کنۍ تژوش آسہِ۔

ژُہی تہٕ ژُجیہہ:- کم لِسر ترٲوِتھ۔ سبٹھاہ وارِ وارِ۔

ژٲپین:-(ن۔ موٗل: ژٲپن <پرٛاکرت: چَپ) یہ ژٲپِتھ تراونہٕ ییہِ۔

ژٲٹِل:-(م۔ موٗل: ژٲٹِل <وُچھو۔ ژاٹھ) شاگردی۔

ژٲر:-(م۔ موٗل: ژار) ژارنٕچ کٲم۔ کچھ بیترِ کڈُن۔ مِ: کچھ ژٲر۔

ژٲر کرٕنۍ:- ۱۔ ژارُن۔ جان جان الگ کڈِتھ تھوٗن۔ ۲۔ وٲترس دانبس گوڈٕنچ عنبد تارنہِ بروٚنٹھ کچھ کڈُن۔

ژٲر کٕرِتھ تھوٗن:- ہو کھناونہِ باپتھ ہاگس بیترِ وٲنکہِ یا آرِ کٕرِتھ تھاوِنۍ۔

ژٲرینُن:-(ن۔ موٗل: ژٲرن)۔ یہ ژٲرِتھ پتھ کُن تروومُت آسہِ۔ نَل بیترِ یم سبزی اَلگ کرنہِ آمتۍ آسن۔ مِ: ہاکہٕ ژٲرینُن۔

ژٲل:-(ن۔ موٗل: ژال <س: چَیلہ/چیلہ) اکھ ناکی پلو۔

ژٲنڈ:-(م۔ موٗل: ژانڈ) پانژھ مَرلہِ تام لوکُٹ ڈوٗر۔

ژٲنگج:-(م۔ موٗل: ژٲنگج) ۔۱۔ گاسو ووٚنۍ ہٕش گول پٕنج۔ ۲۔ آلوٗنہِ باپتھ لوکُٹ آٹیو ژوٚنگ۔ مِ: رٕتنہِ ژانگج۔ ۳۔ پتہٕ پتہٕ پکن وٲلی۔ پوٚت پچھیرِ۔ مِ: پوٚت ژٲنگج ۴۔ گرٕ باژ۔ عیال۔

ژٲنگج ناکی تژاوٕنۍ:- بُڈ ذِمہِ دٲری پیٚشرٕنۍ۔ تیٚز ذِمہِ دٲری تژاوٕنۍ ییتھ نہِ اِنسان کُن واتہِ۔ ووکھ کامہِ اَندر پھساوُن۔ کینٛہہ اَگادِ کرُن (کٲتسہِ)۔

ژٲنگج ناکی گژھنۍ:- کانٛہہ وُلٹہِ ذِمہِ دٲری کلس کھسنۍ۔ تتھہِ کنۍ کانٛہہ کٲم مَٹہِ گژھنۍ ییمہِ نِشہِ نہ موکلن پاے آسہِ۔ ہینہِ یُن۔

ژأ نگجہِ مَنٛش :۔(ورگہِ) پنہٕ نی جایہِ حُکم چلاوَن وول۔بےٚ دَسگا۔م:شیرِ قالین۔

ژِپَن :۔(م۔مؤل: ژِپَن <پرٛاکرت، چَپّہ آ <س: چِپکا۔مُ: ہ: چِپّی)۔ا۔(نوٚٹھ تہٕ أنزمہِ اوٚ نگجہِ ہُنٛد ٹینٛڈٕ ستی ہیٚژمژ) ژٕمٹھ۔۲۔رِکھ یِمہِ ستی کاکدیا پلو بیترِ بند رٹان چھِ۔

ژِپٕنی :۔وُچھو ''ژِپَن''

ژِتَن :۔(م۔مؤل: ژِتَن <س: چیتنا)۔ا۔حِس۔ہوش۔ظون۔

ژِتُر :۔(ن۔مؤل: ژِتر <س: چِتر)۔ا۔نَقشہِ یا شکل بیترِ بناوُن وِزِ روٗزمژ داغ دوٗزی۔نقشہِ کأری کرن وِزِ روٗ دمُت نقشک سہٕ حِصہِ یتھ ہٕ زَنگ کوٚرمُت آسہِ۔۲۔ڈٔبہٕ ہور چھٹہٕ ہور۔
۳۔اُورِ جایہِ منٛز منٛز روٗزمژ ہو چھِ ٹیٚچہٕ۔

ژِترِ بژور :۔(ن۔مؤل: ژِترِ بزار <س: چِتر+بِڈالہ/بزالہَ) سِہہِ ذأژ ہُنٛد اَکھ جنگلی جانور۔ٹیٚچہٕ ہور سِہہِ۔

ژِترِکار :۔(ن۔مؤل: ژِترِ کار <س: چِتر کار) مُرژگوٚر۔تصویر بناوَن وول۔آرٹسٹ۔مُصَوِر۔نقش گر۔

ژِترِکأری :۔مُصَوِری۔

ژِترِ ہور :۔(ن۔مؤل: ژِترِ ہور <س: چِتر+شارَ) ڈٔبہٕ ہور۔ٹیٚچُل۔

ژِتُرن ا :۔(ن۔مؤل: ژِتر <س: چِت)۔ا۔فِکرِ ترُن۔سۭجُن۔۲۔زاگ ہیٚنٛز۔ژٕرژُن۔شیٚکُن۔

ژِترُن ۲ :۔(ن۔مؤل: ژِتر <؟) بےٚ غرض لاگُن۔خاص توجہ نہٕ دِیُن۔پوٚرِپأٹھی نہٕ دِل دِیُن۔

ژِتھ :۔(م۔مؤل: ژِتھ <؟ پرٛاکرت: چھِتّہ) زورِ واتنہٕ یا دژسہٕ لگنہٕ کِنہٕ نأرن دَگ۔

ژِتھ گژھنہِ :۔دژسہٕ لگنہٕ کِنہٕ یا نأرِ شرٛوٚ کتھ دَگ وٕتھٕنہِ۔

ژِتھٕر :۔(ن۔مؤل: ژِتھٕر <س: چیٚتر) دٔہکہٕ برٛوٚنٛٹھیم رِتھ۔ہِنٛدی حسابہٕ وُرِ ہیک بہیم رِتھ۔

ژِتھٕرِ تھوٚسی، ژِتھٕرٕنی تھوٚسی :۔ژِتھٕرس اَنٛدر رپوٚوُن (وہوٚٹ وہوٚٹھ) شین۔بٔڈی بٔڈی شینہٕ تھوٚسی۔

ژِتھٕرِ وونی :۔شینہٕ وونی یُس ژِتھٕرس اَنٛد رکولن تہٕ آرن وَسان چھُ۔

ژِرأنی :۔(م۔مؤل: ژِرأنی) اَکھ قسمُچ لُکر۔اَکہِ زنیٚک ناو۔

ژِنگر :۔(م۔مؤل: ژِنگر <پرٛاکرت ہِچَنگہَ) ا۔خوش گوٚھتھ تُجہٕ مژ ووتہٕ۔۲۔(کِتہٕ کِتہٕ کرنہٕ ستی تُجمژ) تمبلہٕ۔

ژِنگرِ تُلنہٕ :۔ا۔تمبلہٕ تُلنہٕ۔ووتہٕ ٹلان پکُن (چاروأے سُند) ژھالہٕ مارنہٕ۔۲۔کِتہٕ کِتہٕ کرنہٕ ستی تمبلہٕ تُلنہٕ۔۲۔سبٹھاہ خوش گوٚھن، ژٕہنگُن۔

ژِیٖتَن :۔(ن۔مؤل: ژِیٖتَن <س: چیتَنَ)۔ا۔احساس۔۲۔سَرُن۔یادتھوٚوُن۔منٛس اَنٛدر پھیٚر دِیُن۔

ژٕٹنٛژ:-(م۔مۆل: ژٕٹنٛژ < س: چٹنہ) ۔ ژیوٹ ۔ چٹنٛژ۔ (ٹیوٹھ ٹیوٹھ) یہ کیٚژٕ ھابٕتس ستی کھینہٕ باپتھ وو کھلس اندر ژیٗوٗمت اسہٕ۔ ڈٟگتھ ترکاری یا مرژٕ وانگُن بیترِ سِنہٕ پٕژھی بٕتس ستی کھیوان چھہٕ۔

ژٕپری:-(مۆل: ژیر < س: چر)۔ ۱۔ گنڈتھ وقتہٕ پتہٕ وَق گژھتھ۔ تاخیر سان۔ تأر کٔرتھ۔ ۲۔ دوہ ڈٔلتھ۔ شام گژھتھ۔ م: ژٕپری گژھنہٕ۔ کرِ نہٕ بر روزُن۔

ژٕپری بأگی، ژٕپر بأگن:-۱۔ کینٛہہ وَق نیرتھ۔ پتہٕ بأگی۔ ۲۔ دوہ ڈٔلتھ۔ شامس ہیٚو۔

ژٕپری پہَن:-۱۔ رَژھ کھنڈ گژھتھ۔ کینٛہہ وَق نیرتھ۔ ۲۔ یوہے شامن بأگی۔

ژٕپری ہوٕ گری:-شامن ژٕپری۔ شام گژھتھ۔ دوہ نیرتھ۔

ژٕپری کچھ:-(ن۔مۆل: ژٕپری کچھ (کچھ > پراکرت: کچھ < س: ککشہٕ) اکھ خاص کچھ ذاتھ۔

ژٕپری کوٚنڈ:-ؤچھو ''ژیوٗر'' لفظس تَل۔

ژٕپری گاسہٕ:-(ن۔مۆل: ژٕپری گاس (گاس < س: گھاسہ) اکھ خاص گاسہٕ ذاتھ۔

ژٕپری ہٹ:-ژیر گژھہٕ ہٕنز لٔکر۔ (اتھ چھہٕ شرٛا کہ پیٚچ دَن بیترِ بناوان۔)

ژٕپریُو:-۱۔ ژیر بچہٕ ہُند بنومُت۔ ژٕپری بچہٕ گوٗرمُت۔

ژٕ:-(مۆل: ژٕ < س: تۄم (توم) سُہ یُس بروٛنٛہہ کنہٕ آسہٕ۔ سُہ یُس کُن اشارٕ آسہٕ، یُس ستی گژھ

کران اُسی زٕ۔

ژٕتہ بہٕ تہٕ لتہٕ بابہٕ انٛیٹ تہٕ بٕشکابہٕ:- تہٕ ڈٕپتھ گو کأنٛسہٕ ہنٛدِس کُنہٕ بٕڈس دوہس یا کھاندرس پپٹھ واریاہن ہٕنز اُپنٕہ اُستھ تہٕ سبٹھاہ کم سٕمنی۔

ژٕے:-ژٕتہ بیہٕ نہٕ کانٛہہ۔ ژٕے ورأے نہٕ کانٛہہ۔

ژٕتھر:-(ن۔مۆل: ژٕتھر) ؤچھو ''ژٕتھر''

ژٕر:-(ن۔مۆل: ژٕر < آوازِ پٹھ)۔ ۱۔ آواز یوسہٕ ہنٛگتہٕ منٛگہٕ نیرتھ ژٕلہِ۔ ۲۔ لوتہِ دژاہٕر آواز۔ کرٕچ۔ ۳۔ ترٛژھ کانٛہہ کتھ وَنٛنی یوسہٕ نہٕ وَنٛنی پزِ ہے۔ پھیار۔ کوکتھ)۔ ۴۔ وَٹہٕ۔ بدنأمی ہُند داغ۔

ژٕرٕ تلہٕ ژٕیٚنُن:-موموٗلی اِشارٕ ستی فِکرِ ترٛاوُن یا خبر گژھنی۔ شاہ کڈنہٕ ستی یوت فِکرِ ترٛاوُن۔

ژٕرٕ کٕرٕ روٗس:-۱۔ کُنہِ تکلیفہٕ ورأے۔ فِتنوٕ تہٕ فساد و بغأر۔ کأنٛسہٕ ہٕنٛدِ کِتہِ ورأے۔ ۲۔ شُرِ مُرِ روٗس۔

ژٕر رأسُن:-وَٹہٕ لوٚگُمت آسُن۔ بدنأمی آسنی۔

ژٕر تہِ نہٕ کرُن:-(ورگہ) ژھویہ دوپہٕ پأٹھی (اندری) ژالُن۔ کرٕتھ تہٕ نہٕ کڈُن۔ کُنہِ رَنگہٕ نہٕ باس دیُن۔ بلکُل باس نہٕ دیُن۔

ژٕر ژٕر:-کتھہِ بکواس (یُس پأٹھی تَس بروٛنٛہہ کنہٕ یُس کُنہِ کامہِ اَند راو رآسہٕ)۔

ژٕر ژٕرلاگُن:-بکھ بکھ کرُن۔ کتھہٕ کُری کُری کُن کھینی۔

ژٕرگژھُن:-۱۔ کرٕچ گژھُن۔ لوتہِ آواز نیرنی۔ ۲۔ کوکتھ نٕنی گژھنی۔ ۳۔ پھیار گژھُن۔

پھٕراتھ نیٖرتھ ژٕلُن۔

ژٕرنیٖرتھ ژٕلُن:۔ بےٚ شوٗنک پاٗٹھۍ ترٛٹھ کانٛہہ کتھ وٕنتھ گژھن یوسہٕ نہٕ وَنُنۍ لایق آسہٕ۔

ژٕرَل:۔ ۱۔ داغُومُت۔ یتھ نِشانہٕ تھوٗومُت آسکھ۔ ۲۔ یَس وَٹہٕ لوٗگمُت آسہٕ۔ بَدنام۔

ژٕرَن:۔(م: مؤل: ژٕرَن) ۱۔ زاُوِج کھرٕ پھ۔ م: بَر ژٕرَن۔ ۲۔ نیک گوٗو۔

ژٕرگاڈ:۔(م۔مؤل: ژٕرگاڈ) ۱۔ اکھ ہارٕ زار۔ اَتھ اَندر چھِکوٗنکلس اَندرٕ کنہٕ ہارٕ ٹپان۔

ژٕس:۔(ن۔مؤل: ژٕس) تیُٚتھ درٕشہ دِیُٚن ییٚمہٕ سٟتۍ تان بیٚون بیٚون گژھن۔ م: لگہٕ ژٕس۔

ژٕس دیُٚن:۔ زورٕ سان تیُٚتھ درٕشہٕ دیُٚن ییٚمہٕ سٟتۍ تان اَنگ گژھن۔

ژٕستہٕ:۔(مؤل: ژٕست)۔ وُچھو "ژٕس"

ژٕکنۍ:۔ لوٗر ییٚمہٕ سٟتۍ کرٕالہٕ ژٕکھرٕ نٕژناونہٕ یوان چھُ۔

ژٕکٹ:۔ ڈٕر، سخت (زِنۍ ہُر بیترِ)۔ یہٕ نہٕ سہَل سہَل پھالوِتھ ہیٚکہِ ژٕ۔

ژٕکٹ:۔(مؤل: ژٕکٹ < پرٛاکرت: سمکڈ ژھ < س: سمکرٛشٹہٕ۔ مُ: ہ: سکڑن ۱۔ (ترٛ بیترِ سٟتۍ) تان شروٗنکۍ حالتھ۔ اَتھ کھورن گومُت چوٗنکھر۔ ۲۔ کانٛہہ۔ ترٛ۔ شیٚپتہٕ۔ کنٛنیک اُہرٕ یابےٚ۔

ژٕکٹ اَژٕنۍ:۔(ورگہٕ) کانٛہہ اَژُن۔ ترٛاَژنہٕ۔

ژٕکٹ ژانۍ:۔ کانٛہہ ژانُن۔ ترٛ ژانُنہٕ۔ شیٚپتہٕ ناوُن۔

ژٕکر:۔(م۔مؤل: ژٕکر < وُچھو ژٕکٹ)۔ ڈبکس گیٚنۍ۔ دژٕہ۔ کرٕود۔

ژٕکری ژانۍ:۔ شیٚپتہٕ ژانُنہٕ۔ کانٛہہ ژانُن۔ نہیٚپہٕ ژانُن۔

ژٕکٹُن ۱:۔ رَبہٕ دژٕ وٕلگُن۔ تَنہٕ رَبہٕ سٟتۍ برنہٕ یُن۔

ژٕکٹُن ۲:۔(ن۔مؤل: ژٕکٹ < پرٛاکرت: سمکڈ ژھ < س: سمکرٛشٹہٕ) ۱۔ شرٕ وٕگن۔ چوٗنکھرُن۔ ٹونگرُن۔ ۲۔ ترٛ بیترِ سٟتۍ چوٗنگر گژھن، کاورُن۔

ژٕکھ:۔(ن۔مؤل: ژٕک) ۱۔ نار ہیٚوٕن، دیُٚن، لگُن۔ ۲۔ ترٛ وٕش ترٛ وٕش سیٚٗن۔ تیلِس پٹھ کُستھ سیٚٗن۔

ژٕکھ خور:۔ یَس ترٛ وٕش ترٛ وٕش تہٕ کُستھ سیٚٗن کھنبس ہاُل آسہٕ۔ ژٕکھہٕ کھاو۔

ژٕکھ کھاو:۔ وُچھو "ژٕکھ خور"

ژٕکھ، پھوکھ تہٕ ٹاس:۔ ۱۔ تہٕ ڈٕپتھ گو زبردس وُتاوٗلی۔ سخ جلدی۔ ۲۔ چِٹھ تہٕ پھرٕٹھ۔ وُچھان وُچھان مرُن۔

ژٕکھ دیُٚن:۔ ۱۔ اوگن زالُن۔ نار زالُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھۍ) تلُن۔ زپرٕ دِنۍ۔ وُتش دیُٚن۔

ژٕکھ ژانۍ:۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) تنگ اَنُن۔ حیرٛ اَنُن۔ ژٕکٹ ژانۍ۔

ژٕکھ لگُن:۔ نار ہیٚوٕن۔ نار لگُن۔

ژٕکھَل، ژٕکل:۔ سُہ یَس میٛوٹھ کھنبس ہاُل آسہٕ۔

ژٕمُر:۔(ن۔مؤل: ژٕمر < مُ۔شینا: چمر) شسترٛ (یہ لفظ چھُ صِرف یتھ محاورس منٛز۔ ژٕمُرو کرٕ

ژاپُن۔

ژٕمرُ وکرِ ژاپُن:۔تہِ دٕپتھ گو کانٛہہ کرٕٛتھ کاٗم دَروَس ہیٛنٛز۔سَختیہ ژالنہِ۔

ژٕنُن ا:۔(ن۔مٕول: ژٕنن <؟ چین) اَکھ آنٛچہِ وول رَس دار میو۔

ژٕنٛنۍ پوش:۔ژٕنٛنۍ کُلِس دِژٕ اہرٕ پھلَے۔

ژٕنٛنۍ پوشہِ رَنٛگ:۔گولاٗبۍ رنٛگس ہتۍ رَلہٕ وُن اَکھ رنٛگ۔ہلکہٕ ووزُل رَنٛگ۔

ژٕنُن ۲:۔(ن۔مٕول: ژٕنن)۔سُہ ٹٹُل یُس انسانس گوڈس دوٕیہِ طرفہٕ آسان چھُ۔

ژٕنٛیر:۔(ن۔مٕول: ژٕنر) (کاٹھس یا ترٕشَن بیترِ) ژٕنہِ بَناون وول۔

ژٕنۍ:۔(م۔مٕول: ژٕنۍ <پرٛاکرت: چِنَّہ <س: چھِدرنہٕ)
ا۔ژھیٛو مُت یا ژھیٛو روومُت تیوٛنٛگُل۔گُنہِ دَدِ مَتہِ چیزٕک ٹُکرٕ یا چھل یوسہٕ زالنس لگہِ۔م: ژھوٗھ آسہِ، مزازس اَندرتہٕ وُشر آسہِ۔ووٗج۔ یَس تیزی آسہِ۔م: ڈبکہٕ ژٕنۍ۔رونٛگہٕ ژٕنۍ۔

ژٕنہِ اُشناو:۔مطلب کڈنہٕ باپتھ رِشتہٕ دار۔دوٗر دراز اُشناو۔ہیرلاٗ گتھ اُشناو۔

ژٕنہِ پھکِتھ ہیُن:۔(ورگہٕ) ہاٗرِتھ ہیُن۔دیواٗلۍ زَدگوٗھن۔پھکِتھ ہیُن۔

ژٕنہِ پھوٗل:۔ا۔ژھیٛو روومُت تیوٛنٛگُل یُس ہیٛنہ زالنس لگہِ۔۲۔کھیٛ پیٛہن ژٕنہِ۔

ژٕنہِ پھوتہِ تیوٛنٛگُل:۔سُہ یُس زِٹھین ہُنٛد ناومنٛد چھاوِ۔ یُس ساٗری ہیٛ کرٛاٗنُس بدنام تہٕ بزرگار کرِ۔گرِ بارُ جاےٕ کرن وول۔(ہزلہٕ) ٹٕنزی پھٕٹِتھ دژٕ امُت۔

ژٕنہِ رِکھ کٕرِتھ نیرُن:۔پان خطرس اَنٛد رترٕ اٗوِتھ گُنہِ کامہِ اَتھ دیُن۔زُوَس رِنٛدُن۔زُوداوَس لاگُن۔جان باٗزی ہاوٕنۍ۔

ژٕنہِ ژٕوٗر:۔(مٕول: ژٕنہِ ژٕوٗر) یُس وٕسۍ پایہٕ یا نِکہٕ سِکہٕ چیز ژٕوٗرِتھ پان رُسوا کرِ۔(حقارژٕ کنۍ ونان)

ژٕنہِ کرنہِ:۔ا۔(کاٹھس یا ترٕشَن بیترِ) زاٗلِتھ ژٕنہِ بناونہِ۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) تَباہ تہٕ برٕباد کٕرِتھ ژھنُن۔ واٗران کرُن۔۳۔(ورگہٕ پاٗٹھی) دِژٕ وجر ٹٕلُن۔کٕہی کاس ٹٕلُن۔نہ بوٛن کرُن۔

ژٕنہِ کھِکھُر:۔ا۔گاسہٕ یُٹ یتھ اندر ژٕنہِ تھَوان چھِ۔ژٕنہِ سارنٛچ یُٹ۔۲۔ژٕنو برٕتھ کھِکھُر۔

ژٕنہِ گژھنہِ:۔دٕزِتھ پیوٛن۔دَزُن۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) تَباہ تہٕ برٕباد گژھُن۔گُنہِ لایق نہٕ روزُن۔ سخ خراٗبی گژھنۍ۔۳۔(ورگہٕ پاٗٹھی) دِژٕ وجر ووٗتھُن۔کٕہی کاس ووٗتھُن۔نہ بوٛن گژھُن۔

ژٕنہِ موٗنٛگٕر، ژٕنہِ موٗنٛگُر:۔دوٛدمُت زِنۍ موٗنٛڈ۔اَگ یا موٗنٛڈُ ربیترِ یتھ ژٕنۍ آسہِ گاٗمژٕ۔

ژٕنہِ موٗنٛگٕر گژھنۍ۔ژٕنہِ موٗنٛگٕر گژھُن:۔دٕزِتھ ژٕنۍ گژھنۍ۔ہیٛر یونہٕ دٕزِتھ پیوٛن۔

ژٕنہِ ہانگٕر:۔ا۔کاوَس ہیوٛہ کرٛہُن اَکھ جاناوار۔

۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ) کرُہُن تہٕ کٹہٕ کال ہیُوٚ اِنسان۔

ژِنہِ یِنگر:-لوٚکٹ پھوٚترِ یَتھ اندر کھار یا سوٗرُ بیترِ ژِنہِ تھوان چھُ۔

ژِنۍ کرِنۍ:-(ورگہٕ)(اَندری) زالُن۔

ژِنۍ گرٕھنۍ:-(ورگہٕ)(دَندن داہِ) ژھوپہٕ دَم گرٕھُن۔ حسد کہِ نارٕ وَزُن۔

ژٕہہ:-(ن۔مؤل: ژٕہہ > س: چؤش) شاہ ہیوٚر گُن رٕنتھ وُٹھوٚ ستۍ دِیُتمت دام (بَبہٕ بیترِ)۔

ژٕہ آسُن:-شُر بَبہٕ آسُن۔

ژٕ دیُن:-(بَبہٕ یا کُنہٕ رَس دار چیزَس بیترِ وُٹھوٚ ستۍ) دام دیُن۔

ژٕہ ژٕہ دیُن:-(ورگہٕ) پٕرٲنۍ ہے زَڈ زَڈ کڈٕنۍ۔ پانہٕ نہٕ کینْہہ کماوُن۔ نوٚ باپتھ نہٕ سورسیتھ کرُن۔

ژٕہُن:-(ن۔مؤل: ژٕہہ > س: چؤشنہٕ)۱۔(بَبہٕ یا کُنہٕ رَس دار چیزَس بیتر) دام دیُن۔ وُٹھوٚ بیترِ ستۍ دام دِتھ رَس یا ٹرۍ کڈٕنۍ۔ ۲۔تاوٕ ستۍ ٹرۍ کڈٕنۍ۔

ژٕہَن ویر:-(ورگہٕ) صِرف مزٕ وُچھنہٕ خاطرٕ تہٕ یَڈ بَرنہٕ باپتھ نہٕ۔

ژٕہتھ ترٛاوُن:-(ورگہٕ) ترٕٛژھ کڈنہٕ۔ ہوکھراوُن۔

ژٕہتھ نٕنین:-تاوٕ ستۍ یا دام دِنہٕ کِنۍ سارِے ٹرۍ کڈٕنۍ۔ رَس کڈِتھ نٕنین۔ ژٕ مٹھاوُن۔

ژٕڈ1:-(کھاروانہٕ) شُستر دَ کُنہٕ ستۍ وزٕ امُت ژٕن۔

ژٕڈ2:-(ن۔مؤل: ژٕڈ > س: چوڑا) ژھوگ۔ پھوٚنگ۔ گوٚنڈ۔ مِ: ژٕنڈرٕ ژٕڈ۔

ہ-ژٕر:-(ن۔مؤل: ژٕر > س: چیر) ترٕ۔ ترٕ پچہٕ۔ پیٹتۍ پیٹتۍ

ژٕرُن:-(ن۔مؤل: ژٕر > س: پھٹنہٕ)۱۔ژٕر دیُن۔ ۲۔زِناہ کرُن۔

ژٕن:-(ن۔مؤل: ژٕن > پرٛاکرت: چُنّہٕ > س: چورنہٕ) ریزہ۔ چوٗر۔ مِ: کھنڈٕ ژٕن۔ شُستر ژٕن۔

ژٕنہٕ ترٛومبہٕ:-ترٛومبن ہُندا اَکھ قسم۔

ژٕنہ موٗٹھ کرِنۍ:-ریزہ ریزہ کرِنۍ۔ ٹِنگ ٹِنگ کرُن۔ کھنجہٕ کھنجہٕ یا چھلہٕ چھلہٕ کرِتھ نہٕ کُنہٕ کامہٕ لایق تھوُن۔ پھٹرٲوِتھ تباہ کرُن۔

ژٕن کرُن:-۱۔(کُنہٕ چیزَس) ریزہ کرِنۍ۔ چوٗر کرُن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ)(دیار) ضایہٕ کرِنۍ۔ مِ: تٔمۍ کوٚر روپیہٕ پُچھس ژٕن۔

ژٕن گرٕھُن:-(ورگہٕ)۱۔چھلہٕ چھلہٕ یا ٹُکرٕ ٹُکرٕ گرٕھتھ نہٕ کُنہٕ کامہٕ لایق روزُن۔ ۲۔دیار فضوٗل راوٕنۍ۔ پانٔسن نہٕ چھُ تہٕ نیرُن۔

ژٕنٹھل:-یُس ژٕنٹہٕ ترٛاوِی۔ یُس باد پکُن۔

ژٕنٹھل داند:-(ورگہٕ) بیٛہوال، بےٚ ربط اِنسان۔

ژٕنٹھل داندہ ہیوٚ گرٕھُن:-شوٗ وۄزٕ زد گرٕھُن۔ وٕنتھ یا کرِتھ نہٕ کینْہہ ہیکُن۔

ژَہِٕژٕرِنۍ:-سو یَیہِ ژرٛن کَتھن نہٕ کانْہہ باوَر آسہٕ۔ یَیہ ژرٛن کَتھن سٕنۍ زِنہٕ۔

ژٔٹُن:-ا۔ ژٔنٹھ ترٛاوٕنۍ۔ (بڑٕ بڑٕ) بادترٛاوٕنۍ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) فُضوٗل کتھہٕ کرنہٕ۔ کتھہٕ بکواس کرٕن۔

ژٔنٹھ:-(م۔ مؤل: ژٔنٹ)۔ا۔ (آوازِ سان ترٛووُمت باد ۲۔ (حقارژ) حقیر۔ ہماتر۔ ناچیز۔۳۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) پھیار۔

ژٔنٹھہٕ پیٛہ رارے:- پوٗتس پتھ ژٔنٹھ۔

ژٔنٹھہٕ ترٛأوۍ ترٛأوۍ کھیوٗن:- بےٚ حیلأ پأٹھۍ عأشا کرٕن۔

ژٔنٹھہٕ دیو:-ا۔ یُس ژٔنٹھہٕ ترٛاوِ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) یُس پھیار ترٛاوِ۔

ژٔنٹھہٕ گُر:-(ورگہٕ) یُس ژٔنٹھہٕ تہٕ ژٔنٹھہٕ ترٛاوِ۔

ژٔنٹھ ترٛأوِتھ ژٔکجہٕ تھوٚپ:- تہٕ ذٕ پتھ گو پھیار ترٛأوِتھ یا شرمہٕ لایق کانٛہہ کتھ کرتھ تتھ پردٕ کرنٕچ کوٗشش۔

ژٔل ژٔل واد:-(ژٔل ژٔل آوازِ پٹھ) (ورگہٕ) ہنگہٕ تہٕ منٛگک ؤرؤگ۔ ناحق درٛأنٛج درٛأنٛج۔ کرٛونۍ کرٛونۍ۔

ژُ:-(مؤل: ژُدس: چتُر)۔ا۔ ژوٗرِم ژوٗہُر۔ ژُکوٗنجل۔
۲۔ ژوٗرِیم حِصہٕ ژُبوگ۔

ژُبوگ:-ا۔ یتھ ژور حِصہٕ یا چھلہٕ کرنہٕ ییٚن۔
۲۔ ژوٗرِیم حِصہٕ۔

ژُپچکل:-(ورگہٕ) سبٹھاہ ووٚتھہ تہٕ گوب سأرکھ۔

ژُپنجل:- ژوشوٗنۍ پنجن پٹھ دوٚرن وول۔

ژُپنجل دوٗن/ لارُن:-(ورگہٕ) سبٹھاہ تیز دورن۔

ژُپٕتر:- یتھ ژور وٕتھر آسن۔ یتھ ژور برٛگ آسن۔

ژُپوٗر:-ا۔ (اُربیتر) یتھ ژور پور آسن۔ ژُمنٛز ڈلہٕ۔
۲۔ (اَلمأرۍ بیتر) یتھ ژور خانہٕ آسن۔

ژُپینٛڈُل:- نر زنگہٕ ؤٹھ یا گنٛڈِتھ پانس بنوومت گولہٕ ہیوٚ۔ وُچھو ''ژوپینٛڈُل'' تہٕ۔

ژُترٛأکٕین:- وزنہٕ کنٛہ ژور ترٛکہٕ۔ یتھ ژور ترٛکہٕ وزن آسہٕ۔

ژُترٛوک:-ا۔ وٕٹہٕ بیترٕ یتھ ژور ترٛکہٕ وزن آسہٕ۔
۲۔ میژ بانہٕ یتھ ژور ترٛکھ واتن۔

ژُتاسَل:-(آتش بأزۍ بیترٕ) یتھ ژور تاس نیرن۔

ژُریوٗت:- ژُموس۔ ژون رتن ہُند یُس ژور رتھ زامتِس گأمتۍ آسن۔

ژُزوٗنگ:-ا۔ یُس یا یتھ ژور زنگہٕ آسن۔
۲۔ چارووے۔

ژُسیوٗر:-ا۔ وٕٹہٕ بیترٕ یتھ ژور سیر وزن آسہٕ۔
۲۔ بانہٕ بیترٕ یتھ ژور سیر واتن۔۳۔ سُہ داش ترٛکہٕ یتھ ژور سیر توٗمُل نیرٕ۔ م: ژُسیر۔

ژُشاخَل:- یتھ ژور لنٛجہٕ آسن۔ ییٚمہٕ پٹھ ژور شاخ نیران آسن۔

ژُکوٗنل:- یتھ ژور کون آسن۔

ژُکوٗنجل:-ا۔ یتھ ژور کوٗن آسن۔ مُربع یا مُستطیل۔ چورس۔۲۔ زوٚبڈ۔ زبردس۔ ژُکوٗنجل ترٛٹھ۔

ژُکوٗنجل ترٛٹھ:- رَس ترٛٹھ۔ خطرناک آفتھ۔

ژُکھمبێل :-۱۔ کلہٕ چَن ژۄن لنٛجن ہُند گوڈٕس تَل مێل ۔۲۔ یتھ ژور لنٛجہٕ آسَن ۔

ژُکھائٹھ ٹوٗپ :- کاشُر ٹوٗپ یتھ ژور چھلہٕ وٲتھ آسان چھےٚ ۔

ژُکھۄر :- یتھ ژور کھۄرٕ آسَن ۔ یتھ ژور زنگہٕ آسَن ۔

ژُکھور :-۱۔ بۄستوٗ ریالو پُن بیترِ یتھ ژور کھاٗر چھل واتہٕ ۔۲۔ زمین یتھ ژور کھاٗر وونہٕ ہن ۔

ژُکھونٹ :-۱۔ یتھ ژور کھاٹھ آسَن ۔۲۔ یتھ ژور حِصہٕ آسَن ۔ ژُبوگ ۔

ژمۄکھ :-۱۔ یتھ یا یَس ژور بُتھ آسَن ۔۲۔ بال بیترِ یتھ ژور ٹوٗپ آسَن یتھ ژور تالہٕ آسَن ۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) پرٛتھ رٕنگی کامِل ۔

ژۄٔتس پٹھ پیۄن :-۱۔ لۄکن منز کتھ پیٚنی سرِس فاش گژھن ۔۲۔ بے کسی ہندِس حالس منز آسُن ۔

ژۄٔتس پٹھ ترٛاوُن :-۱۔ لۄکن منز کتھ تراوٕنی ۔ سرِس فاش کرُن ۔۲۔ بے کسی ہندِس حالس منز ترٛاوُن ۔

ژُوٗت :- سو جاے یتھ ژور وتہٕ رلَن ۔ ژون وتن ہُند میٚل ۔ چوک ۔

ژُرِ کھوڈ :-(ن۔ مؤل: ژُرِ کھوڈ < س: چۄر + پرٛاکرت: کھڈّا) وُچھو "ژۄرِ کھوڈ"

ژُژ :-(ن۔ مؤل۔ ژُژ < س: چُچہ)۔۱۔ گُلس یا بیٚاٗلس بیترِ زامُت نۄو کۄٹ یُس گُگل گوٗھنہٕ برونٛٹھ تتھ نیران چھُ ۔۲۔ الِہ ، ہٕنٛد وٕنہٕ یا خربُز بیترِ یِکُ أندریم سُہ حِصہٕ یُس نہٕ ماز آسہٕ ۔

ژُستھ :-(مؤل: ژُستت < س: چتہ سپٹہ) ستتھ تہٕ ژور ۔ ستھ دٕ ی تہٕ ژور ۔

ژُک :-(ن۔ مؤل: ژُک < س: چکّت)۔۱۔ ترٛیُس تیونگُل یا تمبر بیترِ پینہٕ کنہ دوتھان چھُ ۔۲۔ شُرٕ ہیٚوٗ یُس کانٛہہ ژُوک چیز کھینہٕ کنہ زیوٗ دوتھان چھُ ۔۳۔ گرم آبہ یا تُرٕ راٗدِتھ سیکہ بیترِ ستی کوٗرمُت ٹکور ۔۴۔ (کانٛسہٕ ہُند) وَسہٕ آسُن سرٕ نٛیہ آسُن (کانٛسہٕ ہُند) دۄکھ وُچھتھ ترٕ ہیٚوٗ ووتھُن ۔

ژُکی :- ٹکور ۔

ژُکدَر :- دَگ دار ۔ ہمدرد ۔ یاوَر ۔ یُس کانٛسہٕ یاوری کرِ ۔ یُس کانٛسہٕ ہُند وَسہٕ آسہٕ ۔ کانٛسہٕ ہُند دۄکھ دود دیٚنہٕ وول ۔

ژُکی دِنۍ :-(گرم آبہٕ ہتلہٕ یا سیکہٕ بیترِ ستی) ٹکور کرٕنۍ ۔

ژُکی لگنۍ :-۱۔ تۄت یا ژۄک آسنہٕ کنہ ترٕ ووتھُن ۔ ۲۔ دادِ ستی ترٕ سی ہوی لگنۍ ۔

ژُک آسُن :- ہمدردی آسٕنۍ ۔ دَگ آسٕنۍ ۔ (کانٛسہٕ ہُند) وَسہٕ آسُن ۔

ژُک لگُن :-(تۄت یا ٹیوٗ ٹھ لگنہٕ کنہ) ترٕ ہیٚوٗ ووتھُن ۔

ژُکُٹ :-(ن۔ مؤل: ژُکُٹ < پرٛاکرت: سمکڈڑھ < س: سمکرٕشٹہ)۔۱۔ یہ نہٕ أندرٕ ہۄکھمُت آسہٕ (زیُن بیترِ)۔۲۔ ژمیومُت ۔ ژامُت ۔

ژُگر:-(ن۔مؤل: ‹پرٛاکرت : سَم کڈ ڈھ ‹س: سمکڑشٹہ۔م۔ہ۔سِکڑا)۔یُس درٛ ہہ لدِتھ آسہِ۔یُس بُتھ ژوکراُوِتھ آسہِ روزان۔

ژُکراوُن:-(ن۔مؤل: ژُکراو۔وُچھو ژُگر) وُچھو ''ژوکراوُن''

ژُہمٹھ:-(م۔مؤل: ژُچ ‹پرٛاکرت : چمٹہ۔مُ:ہ: چُمٹی)۔١۔نیوٗٹھ تہٕ شہادتچہ اونگجہ ستیٚ ژمہ (ژٕٹھ) مُرن دِنۍ۔٢۔کلپہ تھپھ ییٚمہِ ستیٚ چیز رٹنہٕ یا بند کرنہٕ یوان چھُ۔٣۔کانہہ چیز ژٕتھ یا ژوکراُوِتھ ہیوٚہ آسُن۔م: ژکبہ ژٕمٹھ۔٤۔سلپٹھ۔ دالہٕ ٹکرٕ۔یتھ پٹھ ناوِد کھوٗرس بیترٕ دار سوٗ مراوان چھُ۔

ژٕمٹھ ہینٛز:-١۔نیوٗٹھ شہادتچہ اونگجہ ستیٚ ژمہ (ژٕٹھ) مُرن دِنۍ۔٢۔(ورگہ پاُٹھی) حبس دِیُن۔

ژٕچن تل کھیوٚن:-ژُمچہ تہٕ ژُمچہ ہینٛزٕ۔

ژُمچہ کرٛم کرُن:-١۔سبٹھاہ ژُمچہ ہینٛزٕ۔٢۔(ورگہ پاُٹھی) سخ اِذاہ دِیُن۔تنگ کرُن۔

ژُمتھ:-(مؤل: ژُمت ‹س: چتُرٕ نوٗتہٕ) نمتھ تہٕ ژور۔نوٚ دٔہ تہٕ ژور۔

ژُوَنژاہ:-(مؤل: ژُونژاہ ‹س: چتُہہ پنچاشت) پنٛژاہ تہٕ ژور۔پانٛژہ دٔہ تہٕ ژور۔

ژُوِنۍ:-(م۔مؤل: ژُوِن) ہَر جکِرٕ، لڑاُے (یُتھ پاُٹھی دون ہنٛز)۔

ژُوِنۍ دِنۍ:-لڑاُے تُلنۍ۔ہَر زوور اونۍ۔لڑاُے کرنہٕ باپتھ ہس دِیُن۔لڑایہ باپتھ کانٛہہ تُلُن۔

ژُوِنۍ لگنۍ:-لڑایہ باپتھ ژُج لگنۍ۔لڑایہ باپتھ تُلنہٕ یِن۔

ژُوِنۍ:-(م۔مؤل: ژُو) لڑاُے کرِنۍ۔ہر کرِنۍ۔

ژُوِتھ دِنۍ:-دون فساد کرِتھ دِیُن ،لڑاُے کرِتھ دِنۍ۔دون جکرٕ تُلُن۔

ژُہٹھ:-(مؤل: ژٕہاٹھ ‹س: چتہ شَشٹِہ) شیٹھ تہٕ ژور۔شےٚ دٔہ تہٕ ژور۔

ژۄرٕ:- ن/م۔مؤل: ژۄر ‹س:چوٗر)۔١۔سُہ یُس کانٛسہِ ہنٛد مال بیترٕ ہیتھ ژٕلہِ۔پھرٕن وول۔سَن دِنہٕ وول۔٢۔نظر ژٕلتھ یا کانٛسہِ ہنٛزٕ غار حاضری منٛز تٔہنٛدِس چیزس بیترٕ دِژہ مژ تھپھ۔لوٗکہ ہنٛدِس مالس دِژہ مژ تھپھ۔(مالِکس کنِس کن خبر تھونہٕ وراُے)۔٣۔ژۄرِ پاُٹھی کرٕ مژ کانٛہہ کام۔٤۔تہِ ییٚمہِ ستیٚ تباہی گژھِ۔م: بنٛلہ ژۄر۔٥۔اَندرِم بماری۔بماری بیترٕ یوسہٕ اَندری سوٗ مراوِ۔م: اَندرِ ژۄر۔

ژۄرس باسان ساری ژۄرٕ ے:-تہِ دٕپتھ گو شکہ لدُس چھُ پننہٕ نے شکھ۔پۄرٕ کہاوتھ چھےٚ۔پھر ژۄرس دارِ کوٚنٹ۔

ژۄرس ژون یارَن ہنٛز لار/نٹھ:-تہِ دٕپتھ گو مُجرم یا غابدار چھُ پننہٕ نن تہٕ پردن سارنے کھوژان۔

ژۄرس نے مۄرآسہِ سَن، کتھ شرٕ پٮس:-تہِ دٕپتھ گو ژۄرس نے تفتیش تہٕ ریماٹھ برداش کرنک

بُتر آسہِ ،ژۆرٕ مال ہیکہِ نہٕ ہضم گرتھ۔

ژۆرَن زاَنجن:- ژۆرَن ژھپَن۔ اَکھ شُری کھیل۔ اَنی ژِھپر۔

ژۆرَن سمکھان چَنٛد ژۆر:- تہِ ڈٕپتھ گوٚیس لۄکن ٹھہنس پیٹھ آسہِ تَس تہِ چھےٚ پَننہِ وِزِ تَمہ کھوتہٕ بَڈ بلاے اَگادِ گژھان۔

ژۆرٕ نیٖن:- تھَپھ دِتھ ہتھ ژَلن زِماٚلی کہٕ ہشِز وَنظرو ڈٕلتھ یا تَس پےٚ تھونہٕ ورأے)۔

ژۆرٕ ببُل:- ۱۔ (ورگہٕ) شریف ژۆر۔ رَشوَتھ خور۔ ۲۔ شُرِس تہِ وَنان (مایہ کِنی) ییٚلہِ سُہ بے شۆنکی پاٚٹھی اول سۆل کھیٚیہ۔

ژۆرٕ باے:- سو زَنانہٕ یوسہِ ژۆر کرِ۔ یوسہِ کانٛہہ چیز ژۆرِ نیہِ۔

ژۆرٕ بزٕ:- تہِ یہِ ژۆرَن نیٚوٚمُت آسہِ۔

ژۆرٕ پوٚ:- ژۆر کرنٕک صحی آے۔ ٹھیکھ پاٚٹھی ژۆر تگنی کرٕنی۔

ژۆرٕ ٹۆلی، ٹوجہٕ:- (ژۆرٕ ہشِز ہشہِ) خوفنا کھ اَچھ۔

ژۆرٕ جگرٕ کرُن:- (ژۆرٕ ہندی پاٚٹھی) دِل دوٚر گرِتھ کانٛہہ کام کرٕنی۔

ژۆرٕ ژٕنی:- ۱۔ سو زنانہٕ یَس ژۆر کرنٕک سَخ مَرضہِ آسہِ۔ ۲۔ آوارٕ تہِ پھرٲری زَنانہٕ۔

ژۆرٕ ژۆر:- (پۆتُس پتھ) ژۆرٕ ہندی وٲری داتھ۔

ژۆرٕ ژھپہٕ، ژۆرَن ژھپَن:- شُر بن ہٕنز اَکھ کھیل یتھ اَندر اَکھ شُر گَنہِ جایہِ ژۆرِ روزان تہٕ بیٚیا کھ شُر تَس رَٹنہِ نیران چھُ۔ چھپن ژھاٚر۔

ژۆرٕ کُٹھ:- سُہ شُریُس کوکار آسہِ کران تہٕ لۄکہٕ ہُند بن چیزَن تھَپہٕ دِوان آسہِ۔ مُ: ژۆرٕ ببُل۔

ژۆرٕ کَل:- سو کَل یوسہٕ نہٕ نیٚیس ہاٚوِتھ ہیکہِ زِ۔ اَندرُک فِکر۔

ژۆر کاپھر:- ژوے۔ اُٹ۔

ژۆرٕ کھوڑ:- (ن۔ مۄل: ژۆرٕ کھوڑ دۄچھو "ژۆرٕ کھوڑ")۔ مُنہِ غاٚڈِس یوسہٕ کنہِ سنبر۔

ژۆرٕ گی (ژۆرٕ گی):- ۱۔ کاَنسہِ کانٛہہ چیز ژۆرِ نیٖن۔ تھپھ دِنک پیشہِ۔ ژۆر۔ ۲۔ بد ذاَتِل۔ بےٚ ایماٚنی۔ بددیانتی۔ جالساٚزی۔

ژۆرٕ مال:- ژۆرِ اَنِمُت مال جاداد۔ مالِ مسرُوقہ۔

ژۆرٕ نگاٚرٕ:- (ورگہٕ) بدماش زَنانہٕ۔

ژۆرٕ ہاٚژھ:- ژۆرِ ہُند اِلزام۔ ژۆرِ ہُند چھۄہ۔

ژۆرِ اَژُن:- ۱۔ ژۆر پھژُن۔ ۲۔ دِلہِ اَندری کانٛہہ بدراے وۄپھنی۔ یتھ ڈٕلنی۔ مِ: دِلس ژۆر اَژُن۔

ژۆر پھژُن:- کانٛہہ چیز سَن دِتھ نِنہِ یِن۔ خبر روزنہٕ ورأے کینٛہہ مُہتھ نِنہِ یِن۔

ژۆرٕ ژٕتُل:- ژۆر۔ چَنٛدٕ ژۆر بیترِ۔ (ورگہٕ پاٚٹھی) بدماش۔

ژۆرٕ ژٕتُل تہٕ موٚنجہِ گۄر:- لُچہٕ لفنگہٕ بیترِ۔ چنڈال چوٚنکھر۔

ژۆر کرٕنی:- ۱۔ کاَنسہِ چیز تھپھ دِتھ نیٖن۔ کاَنسہِ ہُند چیز بے خبر پاٚٹھی ہتھ ژَلُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٚٹھی)

راہ کھسُن ۔ وُلامہٕ یُن ۔

ژۄر گیہ تنگہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ :۔ تہٕ ڈیتھ گو بےٚ خبر پٲٹھۍ کٲنٛسہِ شر یفہٕ سُند کانٛہہ کو کار بیترِ نوٚن گژھُن ۔

ژۄر مہٕ کر ژژ اُلس مہٕ کھوژ :۔ تہٕ ڈیتھ گو یُس نہٕ کانٛہہ لیپھ پاپھ آسہِ تَس کٲنٛسہِ کھوژنے کیا، تَس گَس ہیکہٕ رٲتھ ۔

ژۄر نے تہٕ ژرژُن کیا :۔ تہٕ ڈیتھ گو نیتھ نے بَد آسہٕ تیلہِ کیازِ شانٛکی زِ ۔

ژۄر۲ :۔ (ن ۔ مۄل: ژۄر) ۔ ڈۄرِس کچھ بیترِ کڈنٕچ کٲم ۔

ژۄر پارِ کڈُن :۔ فصل کمایہ کڈُن ۔ ژۄر ہنٛد تہٕ باقے چیز موکلاوُنۍ ۔ فصل کمناوُن ۔

ژۄر ٹونگر :۔ لوکُٹ ٹونگر یُس ستۍ ڈۄرِس ژۄر دوان چھہٕ ۔

ژۄر دیُن :۔ ٹونگرِ ستۍ زمین دوبھراوِتھ ڈۄرِس کچھ بیترِ کڈُن ۔

ژۄرِ :۔ (م: مۄل: ژۄر > س: چُرا) ۔ ۱ ۔ کھُٹِتھ پٲٹھۍ ۔ کٲنٛسہِ کِنٛس کِن خبر کرنہٕ ورٲے ۔ پردٕ پوشی سان ۔ نَنہٕ ولنہٕ نہٕ ۔ ۲ ۔ کٲنٛسہِ پرژھنہٕ یا ونہٕ روٚس ۔

ژۄرِ بہُن :۔ گُنہٕ جایہ کھُٹِتھ روزُن ۔ کٲنٛسہِ ہنٛز نظرو ڈلِتھ روزُن ۔ زیادٕ پٲٹھۍ نہٕ عام لُکن بُتھ ہاوُن ۔

ژۄرِ پٲٹھۍ :۔ بِہ سان تۍ پٲٹھۍ نہٕ ۔ کٲنٛسہِ ہُندُ وُچھ گوژھنہٕ ورٲے ۔ کٲنٛسہِ کِنٛس کِن خبر کرنہٕ ورٲنے ۔

ژۄرِ تھوُن :۔ کھُٹِتھ تھوُن ۔ دبٲوِتھ تھوُن ۔ نوٚن نہٕ نیرنہٕ دیُن ۔

ژۄرِ ژھیپہٕ :۔ ژۄرِ پٲٹھۍ ۔ لوٚت پٲٹھۍ ۔

ژۄرُن :۔ ژۄر دیُن ۔

ژۄر یم :۔ (ن ۔ مۄل: ژۄرم > س: چَتُر تھ) ۔ ۱ ۔ یہ ترٛیمہ پتہٕ آسہِ یا ییہ ۔ ۲ ۔ مرنہٕ پتہٕ ژۄریُم دوہ یُلہِ مورد س فاتحہ سوزان چھہٕ ۔

ژۄنٛٹھ :۔ (ن ۔ مۄل: ژۄنٛٹھ) ۔ اَکھ میوٕ ذاتھ ۔

ژۄنٛٹھِ رتوٚسھ :۔ لوکُٹ تہٕ تنِگ ژۄنٛٹھ ۔ پینژِ کون ژۄنٛٹھ ۔

ژۄنٛٹھِ کَج :۔ لوکُٹ ژۄنٛٹھِ کُل ۔

ژۄنٛٹھِ ہچہٕ :۔ ہو کھناوِتھ ژۄنٛٹھِ قاش ۔

ژۄنٛٹھ ڈیشِتھ چھہٕ ژۄنٛٹھ رَنگ رَٹان :۔ تہٕ ڈیتھ گو صوحبتس چھہٕ اَثر ۔ یُس یَس ستۍ دوتھ بیہہ تَس لارِتو ہنٛدے اَثر ۔

ژۄنٛٹھِ بیرٕ :۔ نِکہٕ سِکہٕ چیز تھونہٕ باپتھ لبٕن اَندرۍ کنۍ سبٲرِ ستۍ بنومُت گیر دار طاق یا طاقِچ ۔

ژۄنٛٹھِ طاقِچ :۔ وُچھو "ژۄنٛٹھِ بیر"

ژوٚپ :۔ (ن ۔ مۄل: ژوپ/ژپ > پزاکرت: چَپَّہ ) ۱ ۔ دَندٕ ستۍ ژٹُن یا ژٹِتھ ٹٔین ۔ دَندٕ ستۍ ژٹِتھ ہنگلاوُن ۔ ۲ ۔ تیوٚت تیوٚت اُکس واتہِ یا اکہٕ وِزِ دَندٕ ستۍ ژٹنہٕ ییہ ۔ م: ژوچہ ژوٚپ ۔ ۳ ۔ آکھ بیترِ یُس دَندٕ ستۍ بژکھ والنہٕ ستۍ روزِ ۔ دنٛدَن ہُند نشانہٕ ۔ یم ۔ ژکھ، ژگُل (خاص کرِتھ زمینہٕ ہُند ) م: زِمینہٕ ژوٚپ ۔ ۵ ۔ لوکُٹ ۔ مومۄلی تہٕ یہ نہٕ ٹارِ کھسہِ ۔ م: ناوِ ژوٚپ ۔

ژَپہ ژَپہ کھیٚون :- ١۔ اَکھ اَکھ ژوٚپ کڈِتھ کھیٚون۔ دَندو ستیٚ ژٕڈ ژٕڈ ننبگلاوُن۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) سخ عذاب کرُن۔

ژَپوٕ ستیٚ کھیٚون :- ١۔ سبٹھاہ ژٕپ ہینٛز۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) سخ تکلیف واتناوُن۔ سخ تنگ کرُن۔

ژٕپس یُن :- ١۔ ژوٚپ ہینہٕ خأطرٕ دورُن۔ (ہوٗنی سُند یاسَر پھِ ہیترِ سُند)۔ ٢۔ بُتھ پھِرُن۔ کھینٛہٕ ووتھُن۔ وُتھتھ یُن۔

ژوٚپ دِیُن :- وُچھِو "ژوٚپ کڈُن"۔

ژوٚپ کڈُن :- ١۔ دَندن منٛز رٕٹِتھ ژٕٹُن۔ دَندو ستیٚ ژٕٹُن۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) قرضس ییب کرُن۔

ژوٚپ ہیٚون :- ١۔ دَندو ستیٚ ژٕٹُن۔ دندو ستیٚ ژٕٹِتھ أَسس اَند رٹھاوُن۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) کانٛہہ کَتھ سخ لگٕنۍ۔ برطبع گژھُن۔ ٣۔ (ورگہٕ پأٹھی) (آب ترُن آسنہٕ کِنۍ) برداش نہٕ ہیکُن کٔرِتھ۔

ژوٗ ژُر :- (موٗل: ژوٚتر < س: چَتُر)۔ ١۔ تیز تیز۔ ژٕلی ژٕلی۔ وُژھِ سان۔ ٢۔ یَس وُژھ آسہِ۔ یُس فورن کأم کرِ۔ ٣۔ ذٔہین۔ ٤۔ چالاکھ تبلنٛگہٕ۔

ژوٚتُر ژوٚتُر :- تیز تیز۔ ژٕلی ژٕلی۔ پھُرتی سان۔

ژوٚتُر بوز :- (ن۔ موٗل: ژوٚتر بوز < س: چَتُر بھُجَ) لیس ژورٕ نرِ چھےٚ۔ نارایݨہٕ سُند اکھ ناو۔

ژوٚتُر دید :- (ن۔ موٗل: ژوٚتُر دید < س: چَتُر وید) ژور وید۔

ژوٚتریر :- پھُرتی۔ چالأکی۔ وُژھ۔ تیزی۔

ژوٚٹ ١ :- (م۔ موٗل: ژوچ <؟ س: روٹی)۔ ١۔ مانٛڈِتھ أٹہ دوگلس اَتھِ یا بیلنہٕ ستیٚ دبأوِتھ وَہرووُمت تہٕ نارٕ تاوٕ ستیٚ تیار کوٚرمُت اَکھ کھینہٕ باو۔ ٢۔ روٗزی کماونٕک ذٔریہِ۔ روٗزی۔

ژوٚٹ تھَوُنی :- کانٛسہِ ہِنٛدِ باپتھ روزِ ٕیک انتظام کٔرِتھ تھَوُن۔

ژوٚٹ تھٔرِنی :- ژوٚٹ بناوٕنی۔

ژوٚٹ دِنی :- ١۔ کھینہٕ باپتھ ژوٚٹ پلناوٕنی۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) روٗزی کماونہٕ باپتھ کأم کارٕ ہینٛچھناوُن۔ ٣۔ (ہزلہٕ) کھیترٕ کرُن۔ سبق دِیُن۔

ژوٚٹ کرِنی :- ١۔ مأنٛڈِتھ أٹس ژوٚٹ بناوٕنی۔ ژوٚٹ تھُرِنی۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) ٹالُن۔ گوٚش دِیُن۔ ماژُن نہٕ۔ م: کَتھَن ژوٚٹ کرِنی۔

ژوٚٹ گٔیہِ کولہِ تہٕ راہ پَدر :- اَتھِ منٛز گأمتس چیزس خأراتک رَنٛگ دِیُن۔

ژوٚٹ ٢ :- (ن۔ موٗل: ژوٚٹ < پراکرت: چَڈ ڈھَ)۔ یہ چھُ ہینٛدٕ بن ہُنٛد اکھ رٕسم۔ یَتھ اندر تم یؤ کنین یا دِوٕتھن ہِندی نأوی بَتہٕ ہیترِ پَنٛشس پیٹھ ہوٗمس اندر ٕلی رٔنٛگی چھکان چھِ۔

ژَٹہ کِنہٕ لگُن :- کانٛسہِ ہِنٛدِ بلایہِ لگُن۔ کانٛسہِ ہِنٛدِ بدل چھینٛپہ لگُن۔

ژوٚٹ تھَوُن :- ١۔ ژوٚٹ دِنٕک واد کرُن۔

۲۔ بُڈِس دوہس پتھ ژۆٹس پژِ یپِن ہاوُن۔

**ژۆٹ کھاُرن:**۔ کُنہہ تھزِ جایہِ ہنٛدِس اُستھاپنس پیٹھ (نیازِ رٕنگی) ژھر ژروَن بیترِ ژُین تہٕ پُرتھ گرتھ ژھکن۔

**ژۆٹ کھٔیترِ پال:**۔ اطرافن ہنٛدبن ماُلکن یا کھیترِ پالن ہنٛدِ ناوٕ جاناوارن شۆشہِ نور بیترِ ژھکہٕ ہچ اکھ رٕتھ۔

**ژۆٹ۳:**۔ (ن۔مؤل: ژٹ > س: چَٹ) ۔۱۔ ژٹنہٕ آمُت یا یُس ژٹنہٕ آسہِ آمُت۔ مِ: کُنہہ ژۆٹ۔ ۲۔ ژٹھا اونُمت۔ ووژم اونُمت۔ قرضس پیٹھ اونُمت۔ مِ: ژۆٹ ووٹ۔ ۳۔ ژٹن وول۔ مِ: کلہِ ژۆٹ۔

**ژۆٹ ووٹ:**۔ لین دین۔ ووژم وورُد۔ برداش۔

**ژۆدیِش:**۔ (ن۔مؤل: ژوَش > س: چتُر + دِوسَہ) ژۆریم (یُس موردس کران چھ)۔ موردَس ژۆرٕ میک شرٛادیُس تَس کوٚریاژ رہاوان چھُ۔

**ژۆدیِش کھیوٚن:**۔ (کاُنسہِ) مرُن کانچھنگ ووہو ژارَن۔

**ژۆڈ:**۔ (ن۔مؤل: ژڈ > پرٛاکرت: چڈٕ) کھوٚل گوٚل کرِتھ نٔنہِ چالہِ لوگُٹ کتریُو بانہٕ۔ لوگُٹ نوٹ۔ نٔنہِ دأر۔

**ژۆر:**۔ (ن۔مؤل، ژر > س: پرٛچُر) ۔۱۔ یُو واریاہ۔ کثٔل۔ غلبہِ۔ پرٛنہٕ پیٹھی۔ پرٛ کھوتہٕ زیادٕ۔

۲۔ کھٔستھ۔ مِ: گوتہٕ گورس ژاٹھاہ ژورٕ (ننٛدِ ریوٚش)

**ژرِ کشنہٕ یوان رَتھے:**۔ تہٕ دُپتھ گوکُشدٕ گری لاگنہٕ ستی چھُ نوقصانٕے واتان۔ کُنہِ یا کاُنسہِ زیادٕ سَننہٕ ستی چھے پھیرِتھ بلاے ناُلی گژھان۔

**ژرِ کھوتہٕ ژۆر:**۔۱۔ سیٹھاہ زیادٕ۔ ۲۔ بہٕ فرضِ محال۔ مِ: ژرِ کھوتہٕ ژۆر کڈی تنس نوکری مژٕ۔

**ژرنژنہٕ یوان گیوٚرے:**۔ تہٕ دُپتھ گوکُنہِ چیزٕچ زیادتی چھےٚ فائد بدل نوقصانٕے واتہٕ ناوان۔ پرٛنہٕ پیٹھی کینٛہہ کرنہٕ ستی چھُ واپس دُلتہٕ یوان۔ مِ: یرٛ گومیٚژ ژربن کتھن نہٕ سوٚد، ژربن گگراین نہٕ روٗد:۔ تہٕ دُپتھ گوزیادٕ بکواسہِ تلہٕ چھنہٕ کھنٛی نیران۔

**ژری پاُٹھی:**۔ ۱۔ یرٛ پاُٹھی ۲۔ زیادٕ تر۔ اکثر۔ عموٗمن ۔ ۲۔ واریاہ۔ سیٹھاہ۔

**ژورکرُن:**۔۱۔ پرٛنہٕ پیٹھی کرُن ۔ ۲۔ زیادتی کرٕنی۔ ژھوکھ ہاوُن۔

**ژۆژ:**۔ (م۔مؤل: ژۆژ) ۔ زِناہ۔ بدکاری۔

**ژۆژدِنی ۔ ژۆژ کرٕنی:**۔ زِناہ کرُن۔ بدکاری کرٕنی۔

**ژۆژ دیار:**۔ زِناہ دیار۔ گانہٕ ہنٛز کماُے۔

**ژۆش:**۔ (مؤل: ژَش > س: سوشہٕ) ژۆک یتھ مژٕ ژۆک آسہِ۔ کھنہٕ چیزٕ بیترِ یتھ ژاچھر آسہِ۔

**ژۆک ا:**۔ (مؤل: ژک > س: چلکٕ) ۔۱۔ مژو اُنٛدرٕ اکھ مژٕ۔ مژٕ یُس تمبرِ بیترِ آسان چھُ۔ ۲۔ (ورگہٕ

پأٹھی) یہ ژوٚپ بیہہٕ، بُرلگہٕ۔ م: مٔیون وَنُن
لوٚگُس ژوک۔

ژوک آتش ہیوٚ ہ:- سبٹھاہ زیادٕ ژوک یِیمہٕ سٟتۍ
أسس ژکُٹن ہیوٚ لگہٕ۔

ژوک موٚ دُرژألن:- زِندگی منٛز سختی تہٕ آرام دوٚنوٕے
برداش کرٕنۍ۔ آرامس تہٕ دٔنۍ تہٕ بےٚ آرأمی تہٕ۔

ژوکہٕ موٚ دُر بوگ:- تہٕ دٕپتھ گوسورٕے یہٕ حِصس
واتہٕ۔ رُت یا کرُٹ یہ قسمتس آسہٕ۔

ژوکہٕ اَل:- ژوکبر لأگتھ رٟنۍ منٛز (پأرِم) اَل۔

ژوکہٕ بَتہٕ:- بَتہٕ یتھ ژوکُن یا دٕہن یوان آسہٕ۔
پھیٚورمُت بَتہٕ۔

ژوکہٕ پَل ہیوٚ ہ ہیتھ گرٕژھن:- ا۔ ژرٕ ژٕہ بہُن۔
۲۔ اَگادِ گرٕژھن۔ پٔتہٕ نہٕ ٹُکنۍ۔

ژوکہٕ ٹأنج:- ژاچھرٕ سان، اَکھ ٹٔنگہٕ ذاتھ۔

ژوکہٕ دأن:- اَناردأن۔

ژوکہٕ ژرٕانٹھ:- سبٹھاہ زیادٕ ژوک۔ ژوک آتش ہیوٚ۔

ژوکہٕ ژٕنۍ:- ا۔ اَکھ وُسٕنۍ گاسہٕ ذاتھ یوسہٕ ژوٚچ
آسان چھےٚ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سوزَنانہٕ یوسہٕ
أدرے یا أندری دَزِ۔

ژوکہٕ ژوٚنٹھ:- ژاچھرٕ سان اَکھ لوکٕٹ ژوٚنٹھی قسم۔

ژوکہٕ زیر:- ژاچھرٕ سان اَکھ زیرٕ ذاتھ۔

ژوکہٕ لَدٕر:- اَکھ ژوٚچ وُسٕنۍ سبزی۔

ژوکہٕ ماشٹھ:- اَکھ ژوش گاسہٕ ذاتھ، یہ چھِ زَنان تہٕ۔

ژوک۲:- (ن۔ مؤل: ژٕک حپژاکرت: چَکّہ)۔
ا۔ تٔلِم طَرف۔ بوٚنِم پاس۔ ۲۔ تھاہ۔ ووٚشت۔
یورُکن واتٕنُر آسہٕ۔ ۳۔ کُنہِ چیزٕک بِنہہ یتھ
پیٹھ کانٛہہ چیز دٕرِتھ آسہٕ۔ بُنٛیاد۔ ۴۔ کُنہِ
چیزٕچ اصلیتھ۔ اصلی حالتھ۔ ۵۔ چنہٕ باوٚک
تیٚوت حِصہٕ یوٚت بانٛس اَندر پتھ کُن ژٕکس
تل روزِ۔ م: چایہٕ ژوک۔

ژٕکہٕ:- تلہٕ کنہٕ۔ مُلہٕ تلہٕ۔ اصلی۔

ژٕکہٕ بہُن:- ا۔ ژوک دِتھ بہُن۔ ٹھپہٕ بہُن۔ دَبہٕ بہُن۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بأرِتھ بہُن۔ آش سٕوٚرِتھ
بہُن۔ پھکٕتھ بہُن۔

ژٕکہٕ پھرُن:- بانہٕ بیترٕ دُبہٕ پھرُن۔ دُبہٕ پھرِتھ
بانہٕ أندرٕ سورٕے کینٛہہ نبر کڈُن۔ (ورگہٕ
پأٹھی) تٔلِم پیٹھ کرُن۔

ژٕکہٕ پھیرُن:- ا۔ تلُک پیٹھ کرِتھ وُسی پیوٚن۔ ژوک
پیٹھ کُن گژھن۔ دُبہٕ پھیرُن۔ ووگٕڈلُن لگُن۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) (پنہ) ڈٟنجہٕ تہٕ روزُن۔ مارٕ
گژھن۔ بِلکُل خراب گژھن۔

ژٕکہٕ تلہٕ:- وُچھو "ژٕکہٕ"

ژٕکہٕ تلہٕ کَتھ کڈٕنۍ:- گُھنٛز کھنٛز کانٛسہٕ نِش راز
کڈُن۔ کَتھ کڈٕنۍ۔

ژٕچ خبر وَنٕنۍ:- ا۔ اصلیتھ نٟنۍ کڈٕنۍ۔ اصل کتھِ
ہُنٛد پےٚ دِیُن۔ بیالہٕ تلٕچ کَتھ نٕرأونۍ۔ ۲۔ ترٛٹھ

کتھ وَنَنۍ یِمہٕ سٟتۍ تُر ووتھِ۔

ژکہِ یُن:- ہوٗزَن (کھنہٕ چیزس بیتر) ہوٗزَن پھکھ ووتھُن۔

ژٕکی پٕٹ ا:- پٕٹ یوسہٕ وۄوُر کھورس تل تھوان چھُ۔

ژٕکی پٕٹ ۲:- شِکارِ یا بہرٕ بیترٕ ہُند ڈَمب

ژٕکی کھوس:- کھوس یا پیالہِ یتھ گول ژوک آسہِ۔

ژٕکی گو:- (پانہٕ بیترٕ) یتھ ژوک نیرتھ آسہِ ژٕلُمت۔

ژٕکی گوژٕ اَنٛج گرٛھنۍ:- اَنۍ اَنۍ راٗسۍ ووتھُن۔

ژٕوک تل واتُن:- ا۔ اصلیتھ ننۍ نیرٕنۍ ۲۔ پانس گدرِتھ کتھ فِکر ترٕنۍ۔

ژٕوک ژٕلُن:- (ورگہٕ) گُن ڈَلُن۔ بنۍ یاد سرٕنۍ۔

ژٕوک کڈُن:- ا۔ (بانٛک بیترٕ) ژوک اَلگ کرِتھ ٹین ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) بنۍ یاد گالنۍ۔ مۄلہٕ موٗ نجے ختم کرُن۔

ژٕوک گرٛھُن:- بانٛس بیترٕ ژوک خراب گرٛھُن۔ ژوک گسہ یُن۔

ژٕوک نیرتھ ژٕلُن:- وُچھو ''ژوک ژٕلُن''

ژٕوک نیرُن:- (ووہو پرٛھی) بنۍ یادے گالنۍ۔ گُنہٕ لایق نہٕ روزُن۔

ژٕوک وُچھُن:- تھاوٕ چھن۔ پۄرٕ سام ہینٛز۔ پۄرٕ پاٹھی سنُن (کُنہِ نیاےٚس بیترٕ)۔ کُنہ اصلیتھ سرٕ کرٕنۍ۔

ژٕوک ہیوٚر گن کرُن:- تلُیم پٹھ کن کرُن۔ تلگ پٹھ کرُن۔

ژٕوک یُن:- ژوک گسہ یُن۔

ژٕوکش:- (م۔ مۄل: ژوکش <وُچھو ژوک)۔ ا۔ ژہ کبر۔ ژوک آسُن۔ ژاچھرٕ ۲۔ نہ باوزُن۔ ناراضگی۔ ناچاقی ۳۔ وُچھو ''چکِش''۔

ژٕوگل:- (م۔ مۄل: ژوگل <وُچھو: ژوک)۔ اکھ وُسنۍ کچھِ ذاتھ۔ اَمہٕ کِنہٕ بٕرگن چھُ ژہ کبر آسان۔

ژٕوکرُن:- (ن۔ مۄل: ژوکراو <س: چکرٛ)۔ ا۔ ژاچھرٕ پاٗدٕ کرُن۔ آنچار کھارُن ۲۔ مَلال کرُن۔ رٕنجش کرٕنۍ ۳۔ (بتھس بیترٕ) دٟرٕ لدٕنۍ۔ بتھ کرُن۔

ژٕوکرُن:- (ن۔ مۄل: ژوکر <س: چکرٛ) زوٚورُن۔ زامُت ووو یِمہٕ سٟتۍ ووو زوٚوراون چھُ۔

ژٕوگن:- (ن۔ مۄل: ژوگُن <پراکرت: چہ اُگنہٕ <س: چتُرگنہٕ)۔ یتھ ژور تاہ یا لرٕ آسَن۔

ژٕول ا:- (ن۔ مۄل: <س: چُر)۔ ا۔ اکھ لوکُٹ اَبی کیوٚم۔ گرُن چالہِ اَکھ کیوٚم ۲۔ (کرِل ہیٚوٕ ہ) نیگ۔ ۳۔ کانسہِ ریٚشہ پاٹھی ونان۔ مِ: کھنڈٕ واو ژول۔

ژٕول ۲:- (ن۔ مۄل: ژَل <س: چولہٕ)۔ وُرُن وَتھرُن، وٕلٕیُن، جامہٕ ناٹی پلو۔

ژٕول ۳:- (ن۔ مۄل: ژَل <س: چُلّہ)۔ دٕہی گُٹھ ہیتھ سو جاے یپارکہِ دٕہ نبر نیران آسہِ۔ مِ: دٕہی ژول۔

ہ-ژٕوم ا:- (ن۔ مۄل: ژَم <پراکرت: چرٛ <س: چرٛمہٕ)۔ ژَمہٕ وول۔ (ہزلہِ پاٹھی) مِ: سورٕ ژٕوم۔

ہ-ژٕۄم۲:- (دٕچھو: ژٕۄم۱) ژٕمیومُت۔ شرٕوپمُت۔ رَسہٕ وۄتھمُت۔ مِ: اَڑٕ ژٕۄم۔

ژۄمبرٕ:- (مؤل: ژۄمبر > س: چَتُر) یِیے ژور ہی۔ قُریب قُریب ژور۔

ژۄمبراوُن، ژٕۄمرُن:- ۱۔ (رَس بیترٕ) مۄژراوُن۔ (پاکھ وِتھ)۔ رَس بیترٕ شرٕوپراوُن ۲۔ (ورگہ پاٹھی) خجِل کرُن۔ چھِتہٕ کرُن ۳۔ کتھ بیترٕ وپیراوناوُن۔ کتھ بیہناوٕنی (کأنسہٕ)۔

ژٕۄوُہہ:- (مؤل: ژٕۄوُہہ > س: چَتُر ومشتہٕ) وُہہ تہٕ ژور۔ زٕ ژٕہی تہٕ ژور۔

ژورا:- (مؤل: ژور > س: چَتوار)۔ ترٕےتہٕ اَکھ اَکہِ کم پانژٕ ہ۔

ژور۲:- (ن۔ مؤل: ژار > ؟ س: چَتُر)۔ ا۔ دأنگ سہ جِسہٕ یتھ پیٹھ رَنٕن بانہٕ تھوان چھِ تہٕ یپأرکی ریٚہہ نیران چھےٚ۔ گگ۔ ۲۔ اُچھ بیترٕ ہُنٛد کھانگر۔ مِ: اُچھ ژار ہن گرٕھنہٕ۔

ژار وول:- یہ چھِ ہرلہٕ تَس وَنان یُس پانسہٕ سےٚ سۄم رَنہٕ پاکو۔

ژأری پاکھ:- دانس پیٹھ دیٚتمُت سبٹھاہ پاکھ (کھبنہٕ باوس بیترٕ)

ژور۳:- ژور مُت۔ سۄمبرٕ مُت۔ سۄمبرو ومُت۔ مِ: اَڑٕ ژور۔

ژورژ:- (م۔ مؤل: ژورژ > س: چترونگہٕ)۔

ا۔ چھانہٕ سُند اکھ ہُتھی یا ریٚمہٕ ستیٚ سہٕ کرہن بیترٕ ترٕم وَم تاران چھُ۔ ژورٕژ ۔۲۔ مۄچ سُند اکھ ہُتھی یا ریٚمہٕ ستیٚ سہ دالہٕ ژٕ ٹان چھُ۔

ژورژِوول:- لوکٹ ژورژ یٚمہٕ ستیٚ ترٕم تاران چھُ۔

ژورَم:- (م۔ مؤل: ژورم > س: چَترٕتھی) گٹہٕ پچھک یا زٕنہٕ پچھک ژٕۄریم دوہ۔

ژوک:- (ن۔ مؤل: ژاک ح پرٕاکرت: چہ اُکک > س: چتشکہ)۔ ا۔ ژُکوٚنل۔ یتھ ژور کوٚن یا طرف آسَن۔ ۲۔ چوکاٹھ۔ چار چوٚبٕی۔ فریم۔ ۳۔ بچھو ژُکوٚنل چوکاٹھ ہیوٗ یتھ پیٹھ توٗٹ بیترٕ تھوان چھِ۔ ۴۔ لِرٕ ہُنٛد گٕن۔ ۵۔ کزٕ بیترٕ یک تلہٕ کنٛیگ چوکاٹھ۔

ژأکی گنٛڈ:- گنٛڈ یا تھپھ یوسہٕ مکانہٕ کِس ژأکِس دِوان چھِ۔ بچھو چوکاٹھ یُس لبہٕ ژأکی بند روزنہٕ باپتھ گنٛڈِتھ تھوان چھِ۔

ژأکی وار:- کنٛیگ ژوک۔ ژُکوٚنل چوکاٹھ یُس تلہٕ مکانہٕ کِس کنٛس آسان چھُ۔

ژون:- (ن۔ مؤل: ژان > ؟) شُشترٕ کوٚر رہیوٗ ہ یُس شرٕ اکہٕ پچھ دٕنس یا عاصس بیترٕ لاگان چھِ۔

ژوپنھ:- پیوٗنت۔ رَژھ۔ تیوٗت یوٗت اونٛگجہ ٹینٛڈس پیٹھ واتہٕ۔

ژوٚنپہ ژوٚنپہ:- اَکھا اَکھ ژوپنھ کرِتھ۔ تہٕ دُپتھ گو اَکہِ اَکہِ رٕژِ۔

ژونگ :- (ن۔مؤل: ژانگ )۔۱۔ کترِ یُو بیترِ لوکٹ بلنہِ۔یتھ گاشہِ باپتھ سوےتھ لاگتھ تیل زالان چھِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) شوٗب، رونق، ہاوٕنۍ باوٕنۍ لایق ہستی۔

ژانگہِ اژُن:- تھکتھ ژھینتھ (دوہۍ دوہس) شامن بأگی گرِیُن۔ مِ: بانگہِ نیرِن تہٕ ژانگہِ اژُن۔

ژانکس تل انہِ گوٚٹ:- ۱۔ تہٕ ذٕہتھ گوکانسہِ ہُند فأض وو پرِن واتُن، پٔنۍ محرۄم روزٕنۍ۔ ۲۔ زانَن والین ستۍ دوٚ تھن پہُن اَستھ تہٕ تہِ کینُہ لارن، م: بَچہِ مُشید ہند بن جُمعہ نماز اتھ۔

ژأنگی گاش:- ۱۔ ژانگیک یوتاہ گاش۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سبٹھاہ کم گاش۔ یتھ اندر نہٕ صاف پأٹھۍ بوزنہٕ یِیہ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) اَن پَرن اَندر گُنہِ گُنہِ کانُہہ پورمُت لیُکھمُت اِنسان۔

ژونگ تھاوُن :- پوٗزایہ باپتھ یا شرادس بیترِ کل پیٹھ ژونگ دزٕوُن تھوٗن۔

ژونگ دزٕوُن روزُن:- (ورگہٕ پأٹھۍ) (گُنہِ گرس) لُسن بَسُن جأری روزُن۔ پینڈ پرُن آباد روزٕنۍ۔

ژوباگ، ژوبوگ:- (ن۔مؤل: ژوباگ < س: چتُر بھاگہ )۔۱۔ ژٕ ذٕریم حِصہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سبٹھاہ کم۔ یِیہ نہٕ اُچھ تلی یِیہ۔

ژوپأرۍ:- ژوشوٕنۍ طرفَن۔ پرٕتھ اَنٛد۔ ہرطرفہٕ۔

ژوپور:- (مؤل: ژوپار < س: چتشپارشو) پرٕتھ طرفہٕ۔ پرٕتھ طرفس کُن۔

ژوپہنڈُل:- (ن۔مؤل: ژوپہنڈُل < س: چتُر + پنڈ+ اَل) نرِ زنگہِ ؤٹھتھ یا گنڈِتھ پانس بنوومُت گولہ ہیوٚ۔

ژوپہنڈُل کرُن:- زورِ پھٹہِ راوٕنۍ۔ کامہِ کارس لایق نہٕ تھوٗن۔ (ورگہٕ) شِکس دینٛن۔ ہوٚمہ راوُن۔

ژُپہنڈُل گژھُن:- کامہِ کارس لایق نہٕ روزُن۔ زُو زہتہٕ نہٕ روزُن۔

ژوپھیر:- ژُووٚت۔ یتھ جایہ ژورؤ تہٕ رلَن۔

ژوتالہٕ:- (ن۔مؤل: ژوتال < س: چیُتہٕ)۔۱۔ جگرٕ۔ فساد۔ ۲۔ سوکتھ یتھ نہٕ کانُہہ نٔر یادِ آسہِ۔ ۳۔ بےٚ بوٗج۔ ناپُرسان۔ ۴۔ پھکہٕ لَد۔ مِ: ژوتالہ کھُرِم نکھے۔ (محموٗد گامی)

ژوتُل:- (ن۔مؤل: ژوتُل < ؤچھو "ژوتھ")۱۔ سُہ مرد یُس بییس مردس اتھ بدکأری کرناوِ۔ ۲۔ (ورگہٕ) بےٚ شرم (مرد)۔ بےٚ ؤطیر۔ ۳۔ (ہزلہ پأٹھۍ) بزدِل۔ کھوژٕبڈ۔

ژوتج:- پھکہٕ لَدِنۍ۔ بےٚ ؤطیرٕ۔ سوٗزنۍ یَس نہٕ پننہِ یزتک خیال آسہِ۔ (ورگہٕ) بدکار زنانہٕ۔

ژوتھ:- (م۔مؤل: ژوت < س: چیُتہٕ) جِسچ سوجاے یپأرۍ بوٗ ڈاد رارکران چھِ۔ منٛدُل۔

ژوتہِ پیٹھ گاسہِ زالُن:- (ورگہٕ) پھرُن تھوٗن۔ دگ لَلہِ وٕنۍ تھوٕنۍ۔ ریکہِ تھوٗن۔

ژوتہِ منز ژٕنۍ آسٕنۍ:- (ورگہٕ) اُکس جایہ نہٕ

بہتھ سوکھ آسُن۔

ژوتہِ منز ژٕنی تھوٕنی:۔(ورگہٕ) بھرُن تھوُن۔ ریکہ تھوُن۔

ژوتہِ بچھ دَگنہِ:۔سخ ماردیُن۔

ژوتھ چھلنےٚ اما مَتھ:۔(ہزلہٕ) بےشوٗرپاٹھی زِنٛدٕ ژُھ لاگُن۔

ژوتھ نےٚ آسہِ ہبس وٕلی آسہِ ہا:۔تہِ دٕپتھ گو عاب دار نےٚ آسہِ انسان وَنہِ ہا پانس خبر کیاہ کیاہ۔

ژوچہ:۔''ژوٗٹ'' لفظُک جمع۔

ژوچن سوٗر کاسُن:۔(کُنہِ کامہِ منز) کانٛہہ تہِ خٲمی نہٕ روزنہٕ دِنی۔ پتھ کُن نہٕ کانٛہہ کسر تھاوٕنی۔

ژوچہِ بٕرگ:۔تُنٛر ژوٗٹ۔ژوچہِ تلم۔ژوچہِ پیوٗنت۔

ژوچہِ باگرِنہِ:۔۱۔(ورگہٕ) کُنہِ بلایہِ بیترِ تلہٕ ژھٕنٛتھ ووتھنہِ پتہٕ نیازِ کرُن۔ شُکرانہ کرُن۔ م، ژُھر کرِنی۔ ۲۔ کُنٛہ شٲدی مناونہٕ باپتھ اَنٛگن اَشناوَن تہٕ ہمسایَن ژوچہ سوزنہٕ۔

ژوچہِ تاوٕ:۔ ٹاسرِ ٹاکی چالہِ کتریُو یا شیٖشترٕ و بانہٕ یتھ پٮ۪ٹھ ژوچہِ تاوٕ کڈان چھہِ۔

ژوچہِ ژُھرنہِ:۔مأنٛدِتھ اَتُس ژوچن ہنٛز شکل دِنی۔

ژوچہِ سوزنہِ:۔پیداوس بیترِ مُبارکباد رنٛگی توٚھنہِ واتناوُن۔

ژوچہِ کتر:۔ کترِ وتاوہش یتھ کٮ۪تھ دانس بیترِ پٮ۪ٹھ ژُھر ہٮ۪ژ ژوٗٹ تاوٕ کڈان چھہِ۔

ژوچہِ لکنہِ:۔(ورگہٕ) بتہٕ واو پیوٗن۔بتہٕ نہٕ بٔنٛن تہٕ ہوکھُن۔

ژوچہِ مأنٛژھر:۔ژوچہِ یمہٕ توٚھنہِ پٔژھی ژاٹہٕ ہالس اَنٛدر ووستہٕ کارس تہٕ ژاٹہٕ باجن نوان چھہِ۔

ژوچہِ موٗنٛڈ:۔ووزہش تُلتھ ژوٗٹ۔

ژوچہِ نَتہِ لواس:۔تہِ دٕپتھ گو موموٗلی چیز تہٕ نہٕ بنہٕ وُن آسُن اَما ژھانڈُن تھدِ پایک۔ پٔرِ کہاوتھ چھےٚ ''بتہِ نَتہِ بتاس، ژوچہِ نَتہِ لواس''

ژوچہِ وَرِ منز اَنٛز نیرُن:۔تہِ دٕپتھ گو: کمہِ اَنٛدرِ زِیادِ کڈُن خٲہش۔

ژوچہِ وٕری ژوٗر:۔(ورگہٕ) نِکلِن چیزَن تھٕنٛھ دِنہٕ وول۔ پھٮ۪چہِ ژوٗر۔

ژوچہِ وٕری ہَر:۔(ورگہٕ) موموٗلی کتھن پٮ۪ٹھ بوٚڈ بارٕ تنازٕ۔

ژوچہِ وٚور:۔ کانٛد رواجِ وٚور ہش ژوٗٹ، اَتھ چھہِ تیل ووزِ تہٕ ونان۔

ژوچہِ ہارٕ:۔۱۔تمِ دیٖار ریٖم کورِہُند وارِ روزِ ژوچہ بدل سوزنہٕ یوان چھہِ۔ ۲۔تم دیٖار ریٖم دٕپہٕنہِ گوٚڈن وول تمن دِوان چھہٕ یمن سالس وٕنُن آسہِ۔

ژوداہ:۔(ن۔ مؤل: ژوداہ < س: چتُردشہِ) ژورِ پٮ۪ٹھی داہ۔ اکھ دٔو وتہٕ ژوٗر۔

ژوداٗہم زوٗن:۔ ۱۔ پھلِ ژٔندرہش زوٗن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) سبٹھاہ خُسین زنانہٕ ماشوق۔

ژودِش:۔ (م۔ مؤل: ژودش < س: چتُروشی) زوٗنہِ حسابہٕ ژوداٗہمہِ دوہہ۔ م: ہارِ ژودِش۔

ژوروٚن:۔ (ن۔ مؤل: ژورن < س: چتہٕ+رنٛڈ) یَس نَرِ زنٛگہٕ آسَن نہٕ۔ یَس نہٕ نُرِ زنٛگ ووتھان

آسہِ۔یُس نٔرزَنگ نہٕ آسہٕ،کُنہِ کھوکھشہِ یا کھکھرِی پکان آسہِ۔

ژورونگ:-(ن۔مؤل: ژورنگ<س:چترٕ انگہ/چتہٕ+رَنڈ)۔ا۔موہرٕ (نٔرد ُک یا شطرنجک)۔نٔردٕ پھول۔۲۔یُس نٔرزَنگہٕ گنٛڈِتھ آسَن یا بےٚ کار آسَن یا نٔربوزَنگورۄست۔

ژورٕنگی پُٹ:-تختہٕ یا گتہٕ پۆٹ یتھ پیٹھ گنٛدنہٕ باپتھ نٔردٕ پھلۍ ترٕ اوان چھہِ۔شطرنج گنٛدٕنچ پُٹ۔

ژورونگ کرُن:-کأنٛسہِ نٔرزَنگہٕ گنٛڈِتھ تھَونہِ۔

ژورۆنگ گژھن:-نٔرزنگہٕ گنٛڈنہٕ پنہٕ یا کاورٕنہِ۔

ژوژُن:-(ن۔مؤل: ژوژُن)۔ا۔أنٛدرٕ رٕ وَر۔بِگار۔تناز۔ٹوٹَن واد۔۲۔کارٕ بارس بیترٕ أندر دَب۔۳۔ہوژُن۔

ژوژَن واد:-ا۔اَکھ أکِس ستیٖ وۄتھمت بِگار۔مُوکرٕی۔۲۔کارٕ بارس بیترٕ أندر دَب۔

ژوژُن ووتھن:-ٹوٹَن واد ووتھُن۔بگار گژھن۔اَکھأکِس ستیٖ نابرابری گوھنہٕ کُنہِ تناز ووتھن۔

ژوسُر:-(ن۔مؤل: ژوسر<پرٛاکرت: چ‍رٛا+؟)۔ا۔یکہٕ وَٹہٕ سٕمتھ کرٕہٕش کتھہٕ کتھ یا شور۔۲۔سٕمتھ غأبتھ۔نیٖندیا۔

ژوسُر لاگُن:-یکہٕ وَٹہٕ لوتہٕ لوتہٕ کتھہٕ کتھ کرٕنۍ۔غأبتھ،نیٖندیا،اورٕ یورچہٕ لوٗکہٕ ہنٛزٕ کتھ پھرنہٕ تھٔرنہٕ باپتھ ژٕنڈ کھلاگنۍ۔

ژوشۆوے:-ژورَواٗنٛدرٕ ساأری۔ژورواٗنٛدرٕ پرٕتھ اَکھ۔ژونہٕ وَے۔

ژوکہٕ:-(ن۔مؤل: ژوک<س: چکرٕ)۔ا۔(کُنہِ چیزٕس کھورمُت)ٕ خُمب۔۲۔ہوژُن۔پھکھ۔

ژوکس تھاوُن:-ا۔خُمس تھاوُن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ)تَل تھوُن۔اۄرۍ ترٛأوِتھ ہوژراوُن۔بیکار تھاوُن۔

ژوکہٕ پاکھ:-رَتہٕ بۆرُت پاکھ یُس پھیٚھرس نیران چھُ تہٕ دَگ چھےٚ کران۔

ژوکہٕ پاکھ کرُن:-دٕ درٕ روگ ٹلُن

ژوکہٕ وأنۍ:-سر کہٕ وأنۍ۔بانہٕ یتھ أندر ژوکہٕ کھارنہٕ ییہِ (کُنہِ کھٮنہٕ باوس بیترٕ)۔

ژوکہٕ رَتھ:-بانٛدِ گومُت رَتھ یتھ پاکہٕ لِش تہٕ آسہِ۔

ژوکہٕ کرٕ اٹھ:-ہوژُن پھکھ۔

ژوکہٕ کھسُن:-ا۔خُمب کھسُن۔۲۔وَرتاونہٕ نہٕ پنہٕ کُنہِ ہوژُن۔۳۔مَل بیترٕ سَمنہٕ کُنہِ پھکھ ووتھن۔

ژوکہٕ کھارُن:-ا۔خُمب کھارُن۔۲۔أتۍ سۆمبراوُن۔أنزراوُن نہٕ۳۔ہۆژراوُن۔استیمالس نہٕ لاگُن۔

ژوکہٕ ہاکھ:-ا۔ہاکہٕ آنٛچار۔۲۔ہاکہٕ چالہِ اَکھ وٕسنۍ گاسہٕ ذاتھ،یہٕ چھُ ژوک آسان۔

ژوکہٕ پَل:-وُچھو"ژکہٕ پَل"،یُس بأرپکھ آسنہٕ کنۍ ووتھنس بیہنس کٮ۪یت گۆب آسہِ۔

ژوکہٕ پۆٹ:-کپُر یا پلو یتھ قرمزی رَنگ دِنہٕ بروٚنٛتھ

کوچ غوطہٕ دِتھمت آسہٕ۔

ژوکُر:- (ن۔مؤل: ژوکر > ژوکہ + وور > س: چکرٕ + وٹہ)۔ اکہِ قسمُک ژوک ژوچہِ وور۔ ژوک تو ملہٕ ژوٹ۔

ژوکُن:- (ن۔مؤل: ژوک > مس: چکرٕ)۔ ا۔ ژوکبر گژھُن (گُنہِ کھبنہٕ باوس بیترِ)۔ ژاچھر پاُد گژھُن۔ م: دود ژوکُن ۲۔ میادس پیٹھ ژوک آب زیادٕ گژھُن۔ میادس پیٹھ تیزاب زیادٕ گژھُن۔ م: میادٕ ژوکُن ۳۔ وُژنی۔ کانُسہِ ہنز رِش گژھنۍ پھوشنۍ۔

ژوٕکنۍ:- > وُچھو "ژوکُن") ژرنی۔ ٹٕتر ووٕھنۍ۔ (کانُسہِ ہنٛدِ) پھوشنۍ۔

ژوکبر:- (ن۔مؤل: ژوکر > س: چکرٕ)۔ ا۔ ژوک آسُن۔ ژاچھر ۲۔ پانہٕ وأنۍ بێنبر۔ اکھأ اکس ستۍ ناچاُقی۔ وُژنی۔ مُژکری۔

ژوکبر گژھُن:- (ورگہٕ) بێنبر پاُد گژھُن۔ دوستَن بیترِ أندرِ أندری اکھأ اکس خلاف رِش ہش پاُد گژھنۍ۔ پانہٕ وأنۍ رٔنجش گژھنۍ۔

ژوکبر نیرُن:- (ورگہٕ) رٔنجش پاُد گژھنۍ۔

ژوکرِ باکر:- (م۔مؤل: ژوکرِ باکر > س: چت + کرٕ + پوت صدا۔ باکر)۔ کرٕکہٕ ناد۔ شور۔ ہنگامہ۔ چکرِ باکر۔

ژوکھر:- (ن۔مؤل: ژوکھر > پراکرت: چہ اُ > س: چتُر + س: کھرَ)۔ ترٛبن زنگن گومُت چونٛکھر۔ ژوپنٛڈل۔

ژوکھر گرِتھ بہُن:- ا۔ ژورٕنگۍ ہندی پاُٹھی ترٛزنگہٕ وُٹھتھ بہُن۔ چونٛکھر گرِتھ بہُن ۲۔ (ورگہٕ پاُٹھی) کامہ کوچہِ نشہٕ لوب ہیوٚن۔ حرکتھ نہٕ کرٕنی۔

ژوکھر گژھُن:- (بمارِ بیترِ کنۍ ترٛبن زنگن) چونٛکھر گژھُن۔ ترٛزنگہٕ کاورنہٕ۔

ژوگناوُن:- (ن۔مؤل: ژوگناو > وُچھو: ژوگُن) ژوگُن کرُن۔ ژورلرِ پکہٕ وٹہٕ وُٹھنہٕ۔ ژورتاہ کرٕنی۔

ژوگنہٕ:- (ن۔مؤل: ژوگن > س: چتُرگُنہٕ) ژورتاہ یا لرٕ گرِتھ۔ وُچھو "ژوگُن" تہٕ۔

ژول:- (م۔مؤل: ژول > س: پلّہٕ)۔ ا۔ دان یتھ کُنۍ گگ آسہٕ۔ اوگ ژور۔ ۲۔ کنٛبن یا سیربن ہُنٛد بنومُت عارضی اوگ ژور ہیوٚ ہ۔

ژولہٕ بتہٕ:- ا۔ بتہٕ یُس ژولہٕ پیٹھ رنٛنہٕ آسہٕ آمُت۔ ۲۔ (ورگہٕ پاُٹھی) کھبن یُس تھپہٕ تھار تیار کرنہٕ آمُت آسہٕ۔

ژولہٕ بچہٕ:- (ہزلہٕ پاُٹھی) وازٕ کُٹھ۔

ژولہٕ وأر۔ ژولہٕ وور:- ووتھ دان یتھ اکوے گگ آسہٕ۔ لوکٹ ژول۔

ژول لاگنۍ:- ا۔ کنٛبن یا سیربن بیترِ ہُنٛد عارضی پاُٹھی اوگ ژور بناوُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاُٹھی) الگ گرٕ بساوُن۔ بیوٚن گرٕ بساوُن۔

ژومبُن :- (ن۔ مؤل: ژومب ۔ س: چُمب ۔ مِ۔ ہ:
چُھانا)۔ا۔(کنہٕ پھیرٕ یا ئستہٕ بیترٕ)۔ سرٕ ودیٖن،
گوٗد کرُن (وَس بیترٕ اَلونٛد ترٛاونہٕ باپتھ)۔
۲۔ترٛسی دِنۍ۔ ترٛ ژمی دِنۍ۔ مِ: اولُو ژومبُن۔

ژون :- ژورَن۔ ژوروأندرٕ۔ ساری نے۔

ژون گٕن نظر :- تہٕ ڈٕیتھ گو پٔرتھ طرفس گٕن حبس۔
پۆرٕ پأٹھی خبر دار۔ حبہٕ۔ پۆرٕ کھاوتھ چھےٚ، یون
گٕن وۄچھتھ ژون گٕن نظر۔

ژون پُہرن کس چھُ ژونگ دۆدمُت :- تہٕ ڈٕیتھ گو
سہ چھنہٕ کانٛہہ اَکھا یَس لَسن بَسن لَدٕ وَند پوشہٕ۔

ژوٗنٛز :-(ن۔ مؤل: ژوٗنٛز <؟س: پچیچہ)۔ا۔نوکرأنی۔
خدمتھ گارِنۍ۔ ۲۔ نوکرأنی یوسہٕ اورٕ یور شیٛچھ
پأغام نیہٕ۔

ژوٗنٛزِ ہٕنٛز ژٕ نہٕ واُج :- تہٕ ڈٕیتھ گو ووٹہٕ اَنہٕ باپتھ
خوشامد۔ مِ: ژٕرألی زاہکل۔

ژوٗنٛزتون کرُن :- ٹہل کرِنۍ۔ نوکرأزی کرِنۍ۔

ژوٗنٛز کٕٹھ :- ۔(حقارژٕ کنۍ) حرامک۔

ژوولأرکی :- ژوپأرکی۔ ژوشوٕ طرفو۔ پٔرتھ اَنٛدٕ۔

ژوے :- (م۔ مؤل: ژوے <پرٛاکرت: چہ اُ)
ا۔(ل۔م) ژون ہُنٛد یکہٕ وَٹہٕ سمُن۔ ۲۔(ورگہٕ
پأٹھی) کانٛسہٕ خلاف گرہمو سأزِش۔ ساز باز۔
اُٹ۔

ژویہٕ گوٗر :- یُس ژوے کرِ۔ سأزِشی فتنہٕ باز۔

ژوے کرِنۍ :- کانٛسہٕ خلاف ساز باز کرُن۔ سأزِش کرِنۍ۔

ژویہٕ تأجہہ، ژویہٕ تأجِہہ :- (مؤل: ژویہٕ تأجہہ <س:
چَتُشچوارِ مشت)۔ ژَتہٕ جہہ تہٕ ژور۔ ژور ڈٕیٚ
تہٕ ژور۔

ژویہٕ ترٕٛہ :- (مؤل: ژویہٕ ترٕٛہ <س: چَتُسترِ مشت)
ترٕٛہ تہٕ ژور۔ ترٛے ڈٕیٚ تہٕ ژور۔

ژویہٕ شیٖتھ :- (مؤل: ژویہٕ شیت <س: اَچترٛ اَشیتہٕ)
شیٖتھ تہٕ ژور۔ اُٹھ ڈٕیٚ ژور۔

ژوٕیتھ :- (ن۔ مؤل: ژویت)۔ ژور ترٛکھ زٔمین۔
اُٹھ کنال زٔمین۔

ژٕےٚ :-(مؤل: ژٕے <س: قوم: یُو) تُمس یَس کُن
اِشارٕ آسہٕ۔ یَس سٟتۍ کتھ کران آسی زِ یَس کُن
مُخاطب آسی زِ۔

ژٕےٚ ہَی دیٖنت تھٕم مےٚ ہَی کھو، بہٕ چھُس دَپان
یہٕ کۆت گو :- تہٕ ڈٕیتھ گو، رٕٹتھ کٔرتھ تہٕ نہٕ
مُجراہ دیٖن۔

ژٕیےٚ :- ژٕے تہٕ بیٚیہٕ نہٕ کانٛسہٕ۔

ژٕیپر :- (ن۔ مؤل: ژٕپر <س: چپٹہ)۔ ژھوچُر۔
ژھوٚٹ آنٛچ حالتھ۔

ژیٖٹۍ :- (م۔ مؤل: ژیٖٹٕن حوٚ چھو "ژیٖٹٕن") ا۔ وۄچھو "ژٕٹۍ"
تہٕ ۲۔ برٕٛکس۔ دَگنہٕ یاد باونہٕ آمٕت کینٛہہ۔

ژیٖٹٕن :- (ن۔ مؤل: ژیٹن <س: چیتنہ)۔ا۔ حبس ہوش۔
اِحساس۔ ظون سور ستھ۔ زِنٛدٕ آسنک باس۔

۲۔بود ۔سوچ سَمج ۔ ذہانتھ۔ ۳۔ شۆعوٗر۔

۴۔سورٕ حأنی آگہی یتھ "ہِشو" وَنان چھِ۔

ژیتنا:۔(م۔مؤل: ژیتنا<س: چیتنا)۔سوچ۔شۆعوٗر، آگہی۔بود۔ذِہانتھ۔سوچنٕک سَمجنٕک طاقتھ۔

ژیٹے :۔ ہانڈ۔ ژیٹہٕ نچ کأم۔مُشتہٕ یا دوٗگی لاینچ کأم۔ مِ:وچھ ژیٹے۔

ژیٹہٕ ناوُن :۔(ورگہٕ ) ماردیاوُن۔

ژیٹُن :۔(ن۔مؤل:ژیٹ)۔ا۔دَگُن (موہلہٕ ستی یا ژھوٹہٕ بیترٕ ستی)۔ہیینہٕ کرُن ۔ دُرگتھ سورمہٕ کرُن۔

۲۔ژنجہِ دِنہٕ۔ مِ: وَچھ ژیٹُن۔ ۳۔(کأنسہٕ) مار دیُن۔سخ چوب دِنی۔

ژاہٹ ژاہٹ ژھُنُن :۔ (ورگہٕ پأٹھی ) پۆرٕ پأٹھی ہیچھناوُن۔کانہہ کُنہٕ چیٹھ عوٗبوٗر حأصِل کرناوُن۔ پہی پہی ژھُنُن (عِلم بیترِ)۔

ژیٹہٕ کأرۍ :۔ا۔ژیٹنچ کأم۔دَگُن۔۲۔چوب۔مار۔شَلکھ۔

ژیٹہٕ گوبُج :۔سخ چوب۔یتھ اَند رنَل نَکھ پھٹُن۔

ژیٹھ :۔(ن۔مؤل: ژیٹ)۔ا۔دَگُن۔ژیٹنچ یا دَگنچ کأم۔دوگ۔۲۔شَلکھ۔مار۔چوب۔۳۔کُنہِ کتھِ یا مأملس دیٹ مُت مَنہٕ أندری دَل۔

۴۔یٹھ۔کأم پتھ کُن ترٛاوِنی پزاز ناوُن۔پیٹہٕ ناوِنچ کأم۔

ژیٹہٕ مار:۔دَگہٕ مار۔سخ شَلکھ۔سبٹھاہ چوب۔

ژیٹھ دیُن :۔ا۔ دوگہٕ دُن۔ دَگُن۔ ژیٹُن۔

۲۔ماردیُن۔شَلکھ دیُن۔۳۔مَنہٕ أندری پھیُر دیُن۔دَل دیُن (کُنہٕ کتھِ بیترِ)۔۴۔یٹھ دِنی۔ پیٹہٕ راوُن۔

ژیٹھ مار:۔دَگہٕ مار۔سبٹھاہ چوب۔

ژیر ا:۔(ن۔مؤل: ژیر<س:چِر) پزنہٕ کھوتہٕ ژوز وَق۔تأر۔تأخیر۔یٹھ۔

ژیر ویر:۔ژیرکہ تہٕ۔ژیرگژھتھ تہٕ۔وقت یا موقہٕ ڈُلتھ تہٕ۔

ژیر پہن:۔ہنا ژوزوَق۔

ژیرتام:۔گنڈِتھ وَقتہٕ کھوتہٕ زیادٕ کالس۔واریاہس وقتس۔

ژیرژیرلاگُن:۔کلمہِ مأٹھ مأٹھ دِنی۔وُژھنہٕ کرُن۔ گٹشرٕ سان کینہہ کرُن۔

ژیر کرُن:۔ا۔ژوزوق لاگُن۔جلدی نہٕ کرٕنی۔

۲۔وقت ڈُلتھ یُن۔موقہٕ نیرتھ واتُن (گُن)۔

ژیرگژھُن:۔ا۔ پزنہٕ کھوتہٕ ژوزوق لگُن۔زیادٕ وق لگُن۔تأر لگنی۔مِ:یتھ کامہِ گوژیر۔۲۔موقہٕ ڈلُن۔۳۔وقت ڈُلتھ واتُن۔موقہٕ ڈُلتھ واتُن۔ مِ:دفتر واتنس گوژیر۔

ژیرلگُن:۔واریاہ وق لگُن۔تأر لگنی۔تأخیر گژھُن۔

ژیرلاگُن:۔زیادٕ وق لاگُن۔کلمہِ بیترٕ مأٹھ مأٹھ دِنی۔

ژیر ۲ :۔ (م۔مؤل: ژیر <؟س : چرا) ۔اَکھ آنچہٕ دار موٕ۔

ژیر پَر:- ژیرٕ نٛی ژوٹ ہش۔

ژیر پَنٕہ:- (ورگہِ کارٕ بارس بیترِ منٛز نفع بنٕہ نٕچ ووميد آسٕنۍ۔

ژیر ژوکنٕہ:- (ورگہِ) اُشناوی یا دوستانس بیترِ اَندر پھاس پیوٚن۔ پانٕہ وأنۍ ہوا صاف نہٕ روزُن۔ مُوکری ووٚتھنۍ۔

ژیر کاو:- وُچھو "ژیر کرانکھ"

ژیر کرانکھ:- اَکہِ قسمٕچ ٹانٹھ یوسہٕ ژیرِ کُلس نیران چھےٚ صمکھ۔

ژیر نوٚم:- آنچہ کڈِتھ ہوکھناوِمٕژ ژیر۔

ژیر (نوٚمی) وُگرٕ:- ژیرِ نمن بنوومُت وُگرٕ۔

ژیر وُٕنۍ:- سو جاے ییٚتہ وارِیاہ ژیرِ کُجہ آسَن۔

ژیر ہاپتھ:- (ورگہِ) یُس اوٚل سوٚل کھیٚیہٕ۔ یُس پرٕتھ کُنہ کھیٚنہٕ چیزس تھپہ تھپھ کرِ۔

ژیر ہیٚتھنۍ:- ۱۔ژیرٕ پٕنۍ۔ ۲۔مُوکری پتہٕ دون دٕرہن بییہ صلاح گوٚھن۔

ژینہٕ راوُن:- (ن۔مؤل: ژینہٕ ناو < وُچھو ژینُن)۔ (وقس پیٹھ) موحسوٗس کرناوُن۔ سمجاوُن۔ فِکرِ تارُن۔

ژینہٕ رُن:- ژینُن۔ سمجُن۔

ژینہٕ وَن:- (م۔مؤل: ژینہٕ وَن < س: چِتنیہٕ) اِشارٕ بیترِ سٟتی کانٛسہِ کُنہ کُن دیٚتمُت حبس۔ کینٛہہ یادپادنہٕ باپتھ کُنہ کُن دیٚتمُت اِشارٕ (زیرٕ، کھوٚنۍ رِکل بیترِ دِتھ)۔ باس۔ حبس۔ ظوٗن۔

ژینہٕ وَن دِنۍ:- حبس دیُٛن۔ کُنہ کُن ظوٗن پاوُن۔ اِشارٕ دیُٛن۔ باس دیُٛن۔

ژینہٕ وُٕنۍ:- وُچھو "ژینہٕ وَن"

ژینُن:- (ن۔مؤل: ژین < س: چِتنہٕ)۔ ۱۔موحسوٗس کرُن۔ باسُن۔ خبر گژھنۍ۔ ۲۔فِکرِ ترُن۔ سمجُن۔ بوٗز اَژُن۔ بوزنہٕ یُن۔ ۳۔ پایَس پیوٚن۔ سادَس پیوٚن۔

ژینٛپھ:- (م۔مؤل: ژینٛپ)۔ وُچھو 'ژوپھ'۔

ژینٛپہِ ژینٛپہِ:- وُچھو "ژوپہِ ژوپہِ"

ژیٚتُن:- (ن۔مؤل: ژیٚتت < س: چِتنہٕ) دآیرُن۔ مَنہٕ مَنزی پھِرُن۔ خیال کرُن۔ سوچُن۔

ژیٚنتھ:- (م۔مؤل: ژیٚنت)۔ کلہٕ کَنۍ وَلگُن۔

ژیٚنتہٕ ژیٚنتھ:- وَلگنِس پیٹھ وَلگُن۔ وارِیاہ وَلگُن۔

ژیٚنتہٕ ژیٚنتھ کرناوُن:- وُچھو: ژیٚنتہٕ کرناوُن۔

ژیٚنتہٕ کرناوُن:- آن مأنۍ راوُن۔ ڈِکسہٕ دیاوُن۔

ژیٚنتھ کرٕنۍ:- ۱۔کلہٕ کَنۍ وَلگُن دیُٛن ۲۔کلہٕ کَنۍ پیوٚن۔ کلہٕ کَنۍ وُسی پیوٚن۔ ۳۔کانٛسہِ بروٚنٛٹھ کنہٕ نمُن۔

ژیٚنتھ گژھنۍ:- ۱۔ دَب لِگِتھ کلہٕ کَنۍ پیوٚن۔ ۲۔(ورگہِ پأٹھی) وُکراونہٕ یُن۔

ژینکہٕ تور:- (ن۔مؤل: ژینکہٕ تر)۔ اکھ وٕسنۍ گاسہٕ ذاتھ۔

ژینکھ:- (م۔مؤل: ژینک < س: چِنکہٕ)۔ ۱۔زنانہِ ہنٛز سترٕچ جاے۔ گوٗد۔ ۲۔ (ہزلہٕ) رٕژھا۔

پیٚنژ - تہٕ یِہ نہٕ ٹارِ کھسہِ - م: تمہٕ کر ژینکھ - چایہ
ژینکھ -

ژینکہٕ پھوکھ :- (ورگہِ) زنانہٕ ہُنْد چھوبر -

ژینکھ۲ :- (م - مؤل: ژینک) کِہی چالہِ لوکٹ ٹونگر
ہیٚو ہ بیمہِ ستی ژمین کھنان چھہِ -

ژپکل :- یتھ واریاہ ژپہٕ لجمٕژ آسن - یتھ واریاہ ٹکھ یا
زخم آسن -

ژپُٹ :- (مؤل: ژپٹ > س: چپٹہ) یُس دبہٕ نس آسہِ -
یُس نس بہتھ آسہِ - مونجاٹہٕ -

ژپھ :- (م - مؤل: ژیٚپ) - ا - کھش - کھہہ -
موموٗلی زخم (یُس کاژِ بیترٕ ستی دِنہٕ ییہِ) -
۲ - ہمدردی - دود - دگ - ژُک -

ژیٚپہٕ آسُن :- (کانٔسہِ ہنٛز) دگ آسٕنۍ - وسہِ آسُن -
ژُکھ آسُن -

ژیٚپہٕ نٔون پیوٚن :- ا - چھوکس نٔون پیوٚن - تہٕ
ذیٚتھ گوٚ ستمس پیٹھ ستم - ۲ - (ورگہِ پأٹھی) دوکھ
ووتلتھ یُن - (گدرُن ژبتس پیٹھ) دوو ٹھنۍ -

ژپھ دِنۍ :- ا - کاژِ بیترٕ ستی زخم دیُن، ٹکھ دیُن -
۲ - (ورگہِ پأٹھی) زکھ واتناوُن -

ژپھ لگنۍ :- ا - ٹکھ لگُن یا کھش وسُن - ۲ - (ورگہِ
پأٹھی) گاٹہٕ پیوٚن - زکھ واتُن -

ژپھ ہینۍ :- (ورگہِ (نوقصان بیترٕ) برداش کرُن - ژالُن -

ژبتھ ا :- (ن - مؤل: ژبت > س: چِت) - ا - مَن - دِل -

۲ - پڑان - نفس - ۳ - سوچنٕک طاقتھ - بود - گاٹہٕ

ژبتس :- (> س: چیتسہِ) - ا - مَنس منٛز - یاد -
۲ - یاداش - حأفظہٕ -

ژبتس پیوٚن :- یاد پیوٚن -

ژبتس تھوُن :- ا - یاد تھوُن - مشراوُن نہٕ - ۲ - کنٛہ
خیال تھوُن - ۳ - أندری تھاوُن -

ژبتس روزُن :- یاد روزُن -

ژبتس کرُن :- ا - یاد پاوُن - ۲ - دٕرراوُن - یاد کرُن -

ژبتس ووتُر :- یادٕ ووتُر - یاداش - حأفظ -

ژبتس یُن :- یاد پیوٚن -

ژبتھ رٕچھے تہٕ وأنٛج چھے :- تہٕ ذیٚتھ گو برونٛہہ کنہٕ
پٔزن لاگُن تہٕ پتہٕ کنہٕ گنٛگ کھنہٕ نس روزُن -
زبأنی زبأنی تسلا دیُن تہٕ أندرٕ أندرٕ کھنس
روزُن -

ژبتھ رٕچھنۍ / رٕچھن :- مَنس نہٕ گژاے دِنۍ لگنہٕ -
پاس کرُن - لحاظہٕ کرُن (کانٔسہِ ہُنْد) پوٚکھ کرُن -

ژبدانند :- (ن - مؤل: ژبدانند > س: چِدانندہ) سہ
ذاتِ مطلق یُس آگہی ہُندتہٕ سوٚرٕ زُک اِنتہا چھہِ،
ژبتھ تہٕ آنند چھہِ -

ژبڑ :- (م - مؤل: ژبڑ) - ا - برداش - صبر - ژالُن -
۲ - (کُنہٕ چیزس بیترٕ) - پژارُن - انتظار - تاب

ژبڑژٕلنۍ، ژڈژٕلنۍ :- حاجتھ نیرُن - کأم نیرٕنۍ -
ضوٚرٕ زتھ پوٚرٕ سپدُن - تسلی یُن -

ژبڈ کرٕنۍ:-صبر کرُن۔تاب کرن۔بے تاب نہٕ گژھن۔آنتہٕ روزُن۔ژالُن۔برداش کرُن۔

ژبڈ ہیٚنۍ:-ژالُن۔برداش کرُن۔تاب کرُن۔صبر کرُن۔

ژبڈ وول:-یُس تاب کرِ۔یُس صبر آسہِ۔

ژبکہٕ رَنٛد:-(ن۔مؤل: ژبکہٕ رَنٛد (زِنٛد <ف: زِنٛد) پدامہٕ رَنٛد۔رَنٛد یمہٕ سٟتۍ پدامہ کڈان چھِ۔

ژبکلُن:-(ن۔مؤل: ژبکل <س: چکلہٕ)۔

ا۔تِژ رَب یتھ پٹھ کھر گوھنک نظر آسہِ۔۲۔ہوژٕنۍ لَد گاسہٕ۔

ژبکھلُن:-(مؤل: ژبکھل)۔ٹسنہٕ۔ٹسولہٕ ٹھٕٹھہٕ کُنہٕ مخولس بیترِ پٹھ آسُن یُن۔

ژبل:-(ن۔مؤل: ژبل)۔ا۔(کنٛیگ) دَباو۔چار۔روز۔م: موہر دیٚتُن زور ژبل۔۲۔ہیر بارے ۔ہیر آسنہٕ کنۍ جایہِ ہنٛز تنٛگی۔م: بَسہِ منٛز چھُ عوٚموٚمن ژبل گوھان۔۳۔(ورگہٕ پاٹھی) کامِ بیترِ ہُنٛد چار۔۴۔کُنہٕ کامہٕ بیترِ کرنہٕ آمٕت تاکید یا زور۔م: اَتھ اوٚنکھ پٹھ ژبل۔

ژبلۍ ژبلۍ:-ہُری بُری۔بُرتھ۔ژبل دی دی۔سٟتۍ سٟتۍ۔

ژبلہٕ ژژٕٹ:-ا۔دَباوٕ کنۍ گاہمژ ژژٕٹ۔۲۔سخ چیرہٕ چیر۔۳۔(ہیر بار یہ کنۍ) ژبلہٕ ژبل۔

ژبلہٕ ژبیٚج، ژبلم ژبیٚج:-سخ ہیرٕ ہیر بارٕ۔

ژبلہٕ ژبل:-ہیر بارے آسنہٕ کنۍ وٕدتمٕت سخ چار۔اور یور دَکہٕ دَکھ۔

ژبلہٕ گُرُس:-ژبلہٕ ژبل آسنہٕ کنۍ وٕدتمٕت دَباو۔

ژبلہٕ موٚنٛڈ:-سخ ژبل۔سخ چار۔

ژبلہٕ موٚنٛجہِ:-بُری مٔتۍ گاری یمَن کنہٕ پٹھ دٕ گتھ ژژٕٹ آسہِ کرنہٕ آمژ۔

ژبلہٕ موٚنٛگر:-وُچھِو "ژبلہٕ موٚنٛڈ"

ژبل اَنُن:-ا۔چار اَنُن (دَکہٕ دَکہٕ سٟتۍ)۔۲۔دَباو اَنُن (روٗسوٗخ وَرتاوِتھ)۔۳۔کُنہٕ کامہٕ بیترِ چار اَنُن۔تاجلی لاگُن۔

ژبل دِیُن:-کانٛہہ چیز کُنہٕ منٛز ستنہٕ باپتھ تتھ زورٕ چار دِیُن، دَباوترٕ اوٚن۔

ژبل گژھن:-ہیر بارے آسنہٕ کنۍ یا جاے کم آسنہٕ کنۍ ستنہٕ یُن۔دَبہٕ وَنہٕ یُن۔

ژبل واتُن:-دَباو پیوٚن۔زور دِیُن۔

ژبل یُن:-ا۔چار یُن۔۲۔کُنہٕ کامہٕ بیترِ باپتھ سخ پاٹھی تاکید کرنہٕ یُن۔

ژبلُن:-کانٛہہ چیز کُنہٕ اَندر ستُن۔زورٕ ژبل دِتھ بَرُن۔ہُسُن۔وہَپُن بانہٕ نہٕ اَستھ تہٕ اوٚری بَرُن۔گنجایش نہٕ اَستھ تہٕ اوٚری ٹھکُن۔

ژلۍ گُرس تلُن:-(ورگہٕ) جیرٕ تلُن۔سخ تنٛگ اَنُن۔

ژبلتھ تھوٚن:-ا۔ژبل دِتھ تھوٚن۔ستتھ بَرُن۔۲۔ڈنٛد رٕتام بُرتھ تھاوُن۔

ژبلتھ مُنٛڈِتھ:-اَٹھوتہٕ کھورٕ وٕ سٟتۍ دَباوِتھ۔

ژبمبُراہ:-(ن۔مؤل: ژبمبر) نولس ہیوٗ اَکھ جانور۔

ژبمبُر۲:- (ن۔مؤل: ژبمبُر) ۔۱۔پزٕنہٕ کھوتہٕ ژھوٗٹ یا کم پہن ۔۲۔نستہٕ ژھوٗٹ ۔شُریس دبہٕ نس آسہِ ۔م: نستہٕ ژبمبُر ۔۳۔سُہ یُس نہٕ اُچھر وال آسن ۔م: اُچھ ژبمبُر ۔

ژہتا۱:- (م۔مؤل: ژہتا > س: چِتا) آورینی ۔سوزِنی بَنہٕ یتھ پٹھ مور دِزالنہٕ ییہِ ۔

ژہتا کرٕنی :- وۄہو پُرھی وَننہٕ یوان ۔م: قبر کھنی ۔

ژہتا یہٕ بَل :- آورینہٕ بَل ۔شُمشان ۔سو جاے یتہٕ مور دِزالان چھِن ۔

ژہتا۲:- (ن۔مؤل: ژہتا > س: چِنتا) فِکرٕ ۔پریشانی ۔پراکندی ۔

ژہتا برٕنی :- فِکر ہیٔنی ۔پریشانی ہیٔنی کُنیگ غم ہیوٗن ۔

ژہتا کرٕنی :- فِکر تھوٕنی (کانسہٕ ہٕنز یا کُنہِ) ۔

ژہنگ مگ :- (م۔مؤل: ژہنگ) ۔بوٗش ۔چالٕکی ۔ٹٕل ۔کمام ۔تُھر ۔

ژہنگ کھسنی :- بوٗش کھسُن ۔چالٕکی کھسنی ۔تُھر کھسنی ۔

ژہنگ ہاوٕنی :- ٹٕل ہاوٕنی ۔چالٕکی ہاوٕنی ۔

ژہنگر :- ۱۔یُس ژہنگان آسہِ ۔۲۔یُس بوٗش آسہِ کھوتمُت ۔یُس پانس تُھر کھارِ ۔

ژہنگُن :- (ن۔مؤل: ژہنگ) ۔۱۔خوش گژھتھ ووٹہٕ ٹُلنہٕ ۔سبٹھاہ خوش گژھُن ۔خوشی ستہٕ ژٕنگرٕ ٹُلنہٕ ۔۲۔بُلی دِماغ ہاوُن ۔چورتاوُن ۔

ژٕہُو :- (ن۔مؤل: ژٕو) وُچھو "ژٕیہہ" ۔

ژٕیہہ :- (ن۔مؤل: ژٕیہہ > س: چشکہ) ۔اکہٕ گرٕہُند شیٹھُیم حِصہٕ ۔لگ بگ ژٕ ووٕہ سیکنڈ ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) اُچھ ٹیپنٹھ یوتاہ ۔بزٕر ۔

ژٕہین ہُند :- ۱۔(یہٕ یا یُس بزٕرس اُکس روزِ یا درِ ۔۲۔(بمار بیٹرِ) یُس دَمن پیٹھ آسہِ ، یُس مَرنہٕ سَر آسہِ ۔

ژیوٗٹ :- (مؤل: ژیٹ) یہٕ ژیوٗٹمُت آسہِ ، ژیٹھ آسہِ ۔یہٕ دوٗگمُت آسہِ ، ڈگتھ آسہِ ۔م: مُچہٕ ژیوٗٹ ۔

ژیوٗر :- (ن۔مؤل: ژیر) اکہٕ خاص زرٕنڈک نیگ کوٗنڈ ہیٔوٗیُس (لکنہٕ ستہٕ) لاٗرتھ گوہان چھُ ۔۲۔اُتھی زرٕنڈس بنومُت مُہلامہٕ یُس ریح دادِس لگان چھُ ۔

ژیری کوٗنڈ :- ۱۔ژیری زرٕنڈک کوٗنڈ ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) سُہ یُس اُگادِ گوژھِ یُس نہٕ تھچ ٹٕلہٕ ۔

ژیوٗن :- (ن۔مؤل: ژین > س: ستھٕ) نامکانس بیتر کھارنہٕ آمُت سیر بن یا کنٕن ہُند پایہٕ یتھ پیٹھ وِرام بیترِ کھاران چھِ ۔

ژیوٗپ :- (مؤل: ژیٖپ > س: چیٖٹہ) ۔۱۔سبٹھاہ نیگ ۔۲۔تیوٗت نیگ یوٗت نہٕ اُچھ ٹکی ییہِ (لیکھُن بیترِ) ۔م: ژیوٗپ دستخط ۔

ژیوٗٹ :- وُچھو "ژیوٗٹ"

ژیوٗل :- (ن۔مؤل: ژیٖل) ۔اکھ اُبی کیوٗم یُس پوکھر بن منز آسان چھُ ۔

ژیوٗم:- (ن۔ موٗل: ژیٖم) ژمیوٗمت۔ ژاُمت۔

ژیوٗن:- (ن۔ موٗل: ژیٖن) وُچھو "ژیوٗن"۔

## ژھ

ژھ:- کاشُر ییک ژتوٗہیٚم اَچھر۔

ژھنٛج:- (موٗل: ژھنٛج)۔ لچھ وہرن۔ مچھ وامن۔

ژھٹُن:- (ن۔ موٗل: ژھٹ <م، ہ: چھٹنا) ۱۔ ژھٹھ کڈٕنۍ۔ صاف کرُن (اَناج بپتھ)۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٚٹھۍ) نبر داٚرِتھ دِیُن۔ چھکُن۔ ظاہر کرُن۔

م: اَندریم پزٕ کاش نبر ژھٹُم
(لل دید)

۳۔ بُخاراتھ نبر تراونہٕ باپتھ کانٛسہِ پٕژن بناوِتھ بوز ناوُن یا وَدُن دِیُن بپتھ۔ م: باکھ ژھٹٕنۍ۔

ژھٹہٕ وُنۍ:- ژھنٛج موٚزدوٗرۍ۔ ژھٹھ کڈنٕک میحنتانہٕ۔

ژھوٚٹمت:- سُتھ ژھٹھ کڈنہٕ آسہِ آمُت۔ صاف کوٚرمُت

ژھٹھ:- (م۔ موٗل: ژھٹ) ۔ ۱۔ ہواد کہٕ۔ ۲۔ ترٕتھ گوٚتھ دُن (ترُن) ہوا۔ ۳۔ ژٕنٛڈ۔ چپاتھ۔ ۴۔ ووباتیاٚلۍ۔ ۵۔ ربہٕ۔ بزیہٕ۔ پرٕژٕنٛڈ۔ م: نارٕ ژھٹھ۔ ۶۔ شہمتھ۔ م: فسادٕچ ژھٹھ واٚژ ہور تام۔ ۷۔ شرٕلنہِ۔ م: گمہٕ ژھٹھ۔ ۸۔ گرٕبکھ۔ ۹۔ دو۔ ۱۰۔ برکتھ۔ ۱۱۔ ہوٗن پھکُر۔ م: ہاکس دِژِ ژھٹھ۔ ۱۲۔ رَنٛگ ڈٕلُن۔ م: بتھس پھیرِس (لیڈرِ) ژھٹھ۔ ۱۳۔ شُپس مٕنز یا پَرنہٕ ستی

ڈاٚلِتھ داد دِیُن تہٕ کوٚشش بپتھ کڈُن۔ ۱۴۔ نژُن ڈال۔ گزاے۔

ژھٹہٕ بٹہٕ کڈُن:- پھاٚژھلاوُن۔ پالُن۔ پتزُن۔ بوڈواتہٕ ناوُن۔ تربیتھ دِنۍ۔ گاٹہٕ دِیُن۔

ژھٹہٕ بٹہٕ نیرُن:- بالغ گژھُن۔ لوکچار کہ سنہٕ ووگنہٕ تہٕ بمار بونٛشہِ موکلِتھ کامہِ کار س لایق گژھُن۔

ژھٹہٕ بُز:- ژھر۔ ترٕکہٕ۔

ژھٹہٕ تہٕ گراہہ مارنہٕ:- (ورگہٕ) (آسنہٕ لبنک) دَزٕ بُزٕ ہاوُن۔

ژھٹہٕ رَس:- ۱۔ پاکوٚرِ مَتہِ ماز ک رَس یتھ نوٗن تہٕ مسالہٕ رژھا تراونہٕ آسہِ آمُت۔ ۲۔ اوٚپ۔ ژھوٚرُے اَستھ تہٕ تھکبہٕ وُن۔

ژھٹہٕ روٗد:- سُہ روٗد یُس اورتہٕ یور چھاونہٕ ییہ۔

ژھٹہٕ شِکاٚرۍ:- لوٚکٹ ناو۔ شِکاٚرۍ یوسہٕ تیز تیز پکان چھےٚ تہٕ تارٕ دِنس بپتھ لگان چھےٚ۔

ژھٹہٕ شین:- نٔژۍ نٔژۍ پیوٚن شین۔

ژھٹہٕ کاہ:- ژمینس ییٚنہٕ کنہٕ پونۍ لدِتھ نیاسہٕ کنہٕ کڈُن۔ موموٗلی سرٕ نیہ (کرُن)۔

ژھٹہٕ گوجٕ:- ٹلۍ نٕس پٹھ رَننہٕ آمُت گوجٕ۔ م: سسرِ گوجٕ۔

ژھٹہٕ مارنہٕ:- ۱۔ نژُن۔ ڈالہٕ دِنہٕ۔ ژھوہ دِیُن۔ ۲۔ پستھ یُن۔ گرٕکھ کھسنۍ (کنہٕ بانس بپتھ)۔

ژھٹہٕ نیرنہٕ:- دیار رَن گرٕکھ لگنۍ۔ (کانٛہہ کھنہٕ باد

بیترٕ ) سارِنے گتہٕ جارِسان بأ گرِتھ تہٕ پوٗشن۔
سبٹھاہ بَرکتھ نیرٕنی۔

ژھٹہٕ وأر:- لوکٹ ژھٹہٕ شِکأری۔

ژھٹہٕ ہاکھ:- (ن۔مؤل: ژھٹہٕ ہاک) بگارس پیٹھ رَس بُزتھ رَنہٕ آمُت ہاکھ۔

ژھٹھ اَنٕنی:- ا۔ ہوٗن گژھ دِنی۔ ہوٗن پأنس منز گربکہٕ وُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بلاے اَنٕنی۔ ژٕنڈ اَنٕنی۔

ژھٹھ پھیر تھ گژھنی:- لیٚدرُن۔ زَردی۔ پھیرٕنی۔ اکہٕ رَنگہٕ بیا کھ رَنگ گژھن۔

ژھٹھ پھیرٕنی:- (پھرٹہٕ ستی یا بیمہٕ ستی) لیٚدرُن۔ زردُن۔

ژھٹھ دِنی:- ا۔ ژھٹُن۔ وبوتر اوُن۔ گاسہٕ گوٗسہٕ الگ کرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) نوٗن کڈُن۔ م: بأتُسس ژھٹھ دِنی۔ ۳۔ دِنُن۔ گرد کڈٕنی۔ ۴۔ ہولن۔ ۵۔ ہُرس تھوٗن یُتھ ژھٹھ لگبس۔

ژھٹھ کڈٕنی:- ا۔ ژھٹُن۔ توہ بیترٕ الگ کڈُن۔ صاف کرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سُری پیٹھی گژھن۔ ۳۔ تیُتھ گژھن یُتھ ژالُن مُشکل گژھہِ۔ م: وپدایہ کڈٕنس ژھٹھ۔ ۴۔ دِنُن دِنی۔ گرد کڈٕنی۔ ۵۔ سخ تیز ہوا پکُن۔

ژھٹھ لگٕنی:- ا۔ ترٕ لگٕنی۔ شِٹُھن۔ ۲۔ ترُن واو پکنہٕ کِنی نہالی کاژرٕنی یا تِتھ تِھری دِزٕنی۔ ۳۔ ترُن ہوا لگنہٕ ستی دود کرُن۔

ژھٹھ ووٗنی:- زورِ سان ترُن واو پکُن۔ ترٕ کرٕنی۔

ژھٹھ ہنٕنی:- ا۔ کُنہٕ پاسہٕ ترٕ ہنٕنی۔ ۲۔ گژھ ہنٕنی۔ پھکریُن۔ ۳۔ ژٕنڈ ہنٕنی چپاتھ۔ ہنٕنی۔ بلاے ہنٕنی۔

ژھٹھا:- وُچھو "ژھرٹھ"

ژھٹہٕ ژھٹھ:- وُچھو "ژھرٹھ" لفظس تل۔

ژھر:- (ن۔مؤل: ژھر < م۔ہ: چھڈا) ۔ا۔ گلس پیٹھ ٹلنہٕ باپتھ کانوٗسٕنی ٹوٗکر۔ ۲۔ ہاکھ، مُلہٕ وینٕنی بیترٕ ہوکھناونہٕ باپتھ کانہٕ پٹل۔

ژھرِ وَرِ، ژھرِ ووٚر:- ا۔ یَس کینٛہہ بارِ آسہٕ نہٕ۔ یَس کینٛہہ نکھس آسہٕ نہٕ۔ ۲۔ شُرکتہٕ روٚس۔

ژھرُن:- ا۔ بوٚرُت بانہٕ بیترٕ خألی گژھن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) چٔنڈٕ خألی گژھن۔ وقت پیوٚن۔ گُزارٕ نہٕ روزُن۔ ۳۔ زُو زبتہٕ نہٕ روزُن۔ ہمکتھ نہٕ روزٕنی۔ دَم نہٕ روزُن۔ توژھ نہٕ روزٕنی۔

ژھربر:- ا۔ خأل آسٕنی حالتھ۔ کھوکھر یار۔ ژھوژر۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) غریبی۔ نہٕ آسُن۔ نادأری۔ ۳۔ لہبر۔ ۴۔ (ورگہٕ پأٹھی) نہٕ زانُن۔ اَزانبر۔ ۵۔ (ورگہٕ پأٹھی) توژھ نہٕ آسٕنی۔ زُو نہٕ آسُن۔

ژھرٹھ ژھٹھ:- (م۔مؤل: ژھرٹ) ۔ا۔ ژرنگ۔ دادِ بیترٕ ستی ڈٕلنگی۔ سوتھرٕ تھرٕ یوسہٕ کأنسہٕ مارن وِزِ تیندِس جسمس اَژان چھے۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سیتھ۔ بکٕو وَق ضایہٕ کرُن۔

ژھرٹن لگن:- (ورگہٕ پأٹھی) ؤاڈ گژھن۔ سختی ینی۔ کُنہِ کامہٕ نشہِ بچنہٕ خاطرٕ کوشش کرٕنی۔ توندی جن لگن۔

ژھرٹہٕ رارے:- وُچھو "ژھرٹھ ژھرٹھ"

ژھرٹہٕ ژھرٹھ، ژھٹہٕ ژھٹھ:- دادِ بیترٕ ستی پان مۆرُن یا ڈُلہٕ ناوُن۔ زۆ بچاونچ کوشش۔ تچھ گٹر۔ ا۔ (ورگہٕ پأٹھی) وَق ضایہٕ کرنچ عمل۔ ٹلی اور یور۔ ٹلی سیتھ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سخ کوشش، اُلتچھ۔ مِ: مے کُر تور واتنہٕ باپتھ ژھرٹھ ژھرٹھ۔

ژھرٹہٕ ژھرٹھ کرٕنی۔ ژھٹہٕ ژھٹھ کرٕنی:- ا۔ دادِ بیترٕ ستی دَب دِنی۔ ژزنگ دِنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سخ کوشش۔ اُلتچھ۔ ۳۔ (ورگہٕ) وَق ضایہٕ کرُن۔ ٹلی دَوٕ دَوٕ کرٕنی ٹلی سیتھ کرٕنی۔

ژھرٹہٕ لاٹھ:- پیچھ۔ سخ دود یا دَگ ژاُلتھ نہٕ ہیکنہٕ کِنی پان مۆرُن۔ (ورگہٕ پأٹھی) مروانہٕ۔

ژھرٹھ دِنی:- ا۔ دادِ بیترٕ ستی پان ڈُلہٕ ناوُن۔ سخ دود کرُن۔ ژزنگ دِنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) ٹلی وق ضایہٕ کرُن۔

ژھرٹھ دِنی:- (ورگہٕ پأٹھی) ٹلی اور یور کرُن۔ وَق گُساوُن۔ ٹال مٹول کرُن۔

ژھرٹھ لگنی:- (ورگہٕ پأٹھی) کُنہ کامہٕ نشہِ بۆت ہیکی حیلہٕ کرٕنی۔ وقس پتھ کینہہ تہٕ تگُن۔ کینہہ کرنس پتھ یا دِنس پتھ تیار نہٕ گژھن۔

ژھرٹھ:- رونکھن ہُند نرم حصہٕ۔

ژَھل:- (ن۔ مؤل: ژھَل > س: چھَلہٕ) ۔ ا۔ فند۔ فریب۔ دوکھہٕ۔ ۲۔ ژھومب۔ ۳۔ مشینہٕ ہندی پأٹھی کانہہ چیز چلاونک طٕریقہٕ۔ ۴۔ پہلوان کرتب۔ ۵۔ والہٕ وأش یا تیٚتھے کانہہ چیز ییمہٕ ستی جانور بیترِ پھسادنہٕ یا رٹنہٕ ییہٕ۔ مِ: گگر ژھل۔

ژھلہٕ بلہٕ:- فندٕ یا طاقتہٕ ستی۔ ییتھہٕ کِنی پلہٕ تتھہٕ کِنی۔ کُنہِ پأٹھی۔

ژھلہٕ بۆر:- ا۔ سُہ کاٹھ بۆر ییُس سَہل سَہل مۆژرنہٕ ییہ ینہٕ۔ ۲۔ سُہ درواز ییتھ مۆژرنہٕ یا دِنہٕ باپتھ کانہہ خاص ژۆرٕ ترکیب آسہٕ۔

ژھلہٕ تور:- (ن۔ مؤل: ژھَل تار > س: چھَلہٕ + تانکہ) اکہِ قسمُک تور۔

ژَھلہٕ رٹُن:- بے خبر پأٹھی قوبو کرُن چالاٗ کی سان اُتھس منز اٗنُن۔

ژَھلہٕ ژَھلہٕ اٗنُن:- (ورگہٕ پأٹھی) پھُسراوُن۔ زال تال یا شر نگ بَرنگ وُنتھ کانہہ کُن پتھ واتناوُن۔

ژَھلہٕ ژِھدر:- دوکھہٕ۔ فند۔ چالاٗ کی۔ فریب۔

ژھلہٕ یَج:- گرٹ ٹکہِ چرخُک سُہ بۆن ییمہِ ستی پکھ چرخہٕ کوٗنس ستی بند چھے روزان۔

ژَھلہٕ کھارُن:- گرٹُک اوہوک ہیوٗر کھارُن ییتھ زَن یہ تیز تیز نِیہ۔ اُردابہٕ بیترِ کڈنہٕ باپتھ

گژٕس بٕتہٕ حرکتھ کرٕنۍ یُتھ یہِ تیزی سان نٕژِ۔

ژٕھلہٕ گوٚر:- وُچھو "ژٕھل باز"

ژٕھلہٕ وألِن:-۱۔ گژٕس بٕتہٕ حرکتھ کرٕنۍ یُتھ یہِ قرار سان نٕژِ تہٕ زأ ویُل اوٹ کڈِ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) دوکھہٕ دِیُن۔

ژٕھلہٕ وول:- یُس ژٕھل آسَن تگان۔ بأزی گر۔

ژٕھل باز:- یُس ژٕھل تگان آسَن۔ چالاکھ۔ فنٛد باز۔ دوکھہٕ باز۔

ژٕھل پھیرُن، ژٕھلہٕ پھیرُن:- گژٕ ٹٕک یا پاں مشینہٕ ہُنٛد سہٕ چرٕخ نٕژُن ییمہٕ سٟتؠ گژٕ ٹہٕ کُنؠ نژان تہٕ مشین چلان چھےٚ۔ (گژٕ ٹٕک) پکھن ہُنٛد بنیوُمت چرٕخ پانہٕ سٟتؠ تیز نژُن۔

ژٕھل ژِھدرأز:- دوکھہٕ بأزی۔ فنٛد بأزی۔

ژٕھل کرُن:-۱۔ دوکھس منٛز اُنُن۔۲۔ ژھومب ورتأوِتھ پأرُن۔

ژٕھل ورتاوُن:- دَغا کرُن۔ دوکھہٕ کرُن۔ چال بأزی کرٕنۍ۔

ژٕھلی ٹٕلی یا ٹٕلی:- کُنہٕ نہٕ کُنہٕ طریقہٕ۔ یتہٕ کُنہٕ تتہٕ کُنہٕ۔

ژٕھلُن:-(مؤل: ژٕھل<س: چھلنہ) ٹھگُن۔ دوکھہٕ دِیُن۔ فریب دِیُن۔ پھساوُن۔ فنٛد کٔرِتھ گوٚھن۔

ژٕھمب:-(م۔مؤل: ژھمب)۔ مَل۔ گنٛد۔ ملہٕ کھٔن۔ گوہ۔ ءِکس۔

ژٕھمبہٕ کھاو:-۱۔ سہٕ چاروٕے یُس اِنسان مَل کھنٛبس عادتھ آسہِ۔ گوہ خور۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سُہ شخص یُس لُکہٕ ہُنٛد حق کھنٛبس عادتھ آسہِ۔

ژھمبہٕ ژھوے:- تھوتھ وائے۔ ژمہٕ ہٕنز لۍکھ ہمأری یٕیمہٕ سٟتؠ چھانٛپہٕ ہشہٕ پھوان چھےٚ تہٕ پھٕنٛز ووتھان چھےٚ۔

ژھنٛڈُن:-۱۔ دۄنٛژہٕ دِنۍ۔۲۔ تھٕپہٕ تھٕپہٕ ژھانٛڈُن۔ تلاش کران کران پھیرُن۔ م: عالم ژھنٛڈُن۔

ژٕھو:-(ن۔مؤل: ژٕھو< پراکرت: چھاو<س: شاو)۔ ۱۔ چارواُیس بیترِ سُنٛد ووٚژھ وٚژھ بیترِ۔۲۔ تھو۔ کھوڑِ موٚنٛڈس دزا مٕتۍ نوٚیۍ ترِ یا ہَر۔ بیٚخ جوش۔

ژھو نٕوِنۍ:-۱۔ چارواُیس واریاہ بچہٕ زٕیوٚنۍ۔ اُکس مادِ چاروائس پٕتھ واریاہ چاروائے نٕوِنۍ۔ ۲۔(ہزلہٕ پأٹھی)(کأنسہِ) سبتھاہ شُری آسٕنۍ۔

ژھونیرِنۍ:- نٕوِ نٕولنچہٕ کھَسنہِ۔ بیٚخ جوش کھسٕنۍ۔

ژھارُن:-۱۔ تلاش کرُن۔ ووٚن دِیُن۔۲۔ دُرٕی یاف کرُن۔ مولوٗم کرُن۔۳۔ اُتھس منٛز اَنٛنہٕ باپتھ کوٗشِش کرٕنۍ۔ منٛگُن۔

ژھاگُل:-(ن۔مؤل: ژھاگل<س: چھاگلہ) پوٗش۔ پیٚوٗل (کٔنس یا ژھاوِلۍ سُنٛد)۔

ژھاگٕلُن:-۱۔ مازِ چ آمُن۔۲۔ سہٕ پھکھ یُس عأرقہٕ سٟتؠ کوٚھن بیترِ آسان چھُ۔

ژھال:-(م۔مؤل: ژھال<مُ۔ہ: چھال) دَو۔ ووٚٹھ۔ ژِنگر۔ ٹکھ۔۲۔ ہہہٕ پکُن۔

ژھالہِ ترُن :- لاثپہ ترُن ۔ ووٹھ تارِنی ۔

ژھالہِ ژھالہِ :- گِنڈان گِنڈان ۔ وُچھان وُچھان ۔

ژھالہِ گنڈُن :- اَکھ شُری گِنڈُن یتھ منز بازہارن وأرلس اُچھ تھوٚپ چھِ دِوان ۔

ژھالہِ دِنہِ :- لاثپہ ترٛاونہِ ۔

ژھالہِ ژھال :- دَوِ دَوِ ، ٹِکہ ٹِکھ ۔

ژھالہِ مارنہِ :- ا ۔ ووٹہِ ٹلنہِ ۔ ژِنگرِ مارنہِ ۔
۲ ۔ (کُنہِ شأدی یا بِکس موقس پیٹھ ) کُنہ اُتھی نہ یُن ۔ قدم نہ ٹھہراوُن یا یِم کرُن ۔ ژھوہ دیُن ۔

ژھالہِ ہیٚنہِ :- ووٹہِ تلی تلی پکُن ۔

ژھال اَنٛز :- ووٹھ لأیتھ یُن ۔

ژھال دِنی :- ا ۔ زیٚتھ ووٹھ لأیتھ ژَلُن ۔ ۲ ۔ (ورگہِ پأٹھی ) وُچھان وُچھان نظرَ و دوٗر گژھن ۔

ژھال مارِنی :- ا ۔ کُنی ٹِکہِ نظرو دوٗر گژھن ۔ دَوِ ژَلُن ۔ وُچھان وُچھان دوٗر واتُن ۔ لاثپہ مینان مینان ژَلُن ۔ ۲ ۔ ڈال دِنی ۔

ژھال نٛز :- کُنی لاثپھ تارِنی ۔ ودنٛز ٹِکہ ژَلُن ۔

ژھال ہیٚنٛز :- ا ۔ کُنی ووٹھ ٹلنٛز ۔ زورِ زورِ قدم ترٛاوُن ۔
۲ ۔ ٹِکہِ نیر تھ ژھچھ ہیٚنٛز ۔

ژھاپٛتھ :- (م ۔ مؤل: ژھاپ <پرٛاکرت: چھمپہ ، م ۔ ہ: چھاپ ) ا ۔ ہشر ۔ عکس ۔ شکل میلنٛز ۔ ۲ ۔ برٛنتھ ۔ ژھاے ۔ ۳ ۔ زال اَکھ زأونُل پرٛدیُس اُچھن پیہان چھُ ۔ ۴ ۔ گاشس منٛز کُنی ۔ کم گاش ۔

ژھاپٛتھ ہیٚنٛز :- اُچھن پرٛدِ ہیوٗ ہیٚن ییمہ کِنٛز صاف صاف بوزنہِ ییہ نہِ ۔

ژھاپٛتھ ووٚتھنٛز :- نظر صاف گژھنٛز ۔

ژھاپٛتھ تنٛز :- اُچھن ٹھوٚرہیوٗ ہیُن ۔

ژھاٹھُل :- سُہ یَس ژھاٹھ وانٛز تگہِ ۔

ژھاٹھ :- (م ۔ مؤل: ژھانٹ <س: سمتار) آبس اَتھ کھوروأیتھ ترٛنچ ہوٚنز ۔

ژھانٹہِ ترُن :- پانہِ منٛزی ژھاٹھ وایان وایان اَکہِ اَنٛد پیٹھ بیٚیس اَنٛدس واتُن ۔

ژھانٹہِ ژھاٹھ کرِنی :- (آبس اَندر) ژھانٹہِ گِنڈُن ۔

ژھاٹھ وانٛز :- آبس اَتھ کھوروأیتھ ترُن ۔

ژھانڈو :- (ن ۔ مؤل: ژھانڈو ) بوج ۔ تلاش ۔ وارنٹ عام ۔

ژھانڈ وژھنُن :- کانٛہہ بد ماش بیترِ رٹنہِ موکھ پُلسِک تمِس تلاش کرنہِ نیرُن ۔

ژھانڈولُگن :- ا ۔ تلاش لگُن ۔ ۲ ۔ بوٗج ووتھُن (کُنہِ چیزس) ۔ ۳ ۔ رأوی میتس تلاش لگُن ۔

ژھانڈے :- (م ۔ مؤل: ژھانڈے) تلأشی ۔ ژھانٛڈ ۔

ژھانڈُن :- (ن ۔ مؤل: ژھانڈ <پرٛاکرت: چھنٹہ ۔ مُ ، ہ: چھانٹنا ) تلاش کرُن ۔ ووٚن دیُن ۔ مولوٗم کرُن ۔ جایہ جایہ وُچھُن ۔

ژھاوُل :- (ن ۔ مؤل: ژھاون <س: چھاگلہ ) ۔
ا ۔ اَکہِ قسمُک تیُوٗ ریُس گُنٛز وال تہِ کھو کھنٛس

بونہٕ کنہِ دأرہش چھےٚ آسان۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)
دارٕبل۔م: ژھاوِج۔
ژھاوِلی بَستہٕ:۔ژھاوِلس والنہٕ آمٕت مُسلہٕ۔
ژھاوِلی پۆت:۔ژھاوجہِ ہُندٕ نَر پۆت۔
ژھاوِلی مونٛگُر:۔ژھاوِلی پۆت۔ژھاوجہِ ہُندٕ نَر بچہٕ۔
ژھاولیٚا پولاوہا دۆپِنس میٚانہٕ نِہ ناٹُن:۔تہٕ
ڈٲپتھ گو:پرٛتھ حالتَس منٛز چھُ کمزورِ ے تختہٕ مشق
بناونہٕ یوان۔
ژھاے:۔ (م۔مؤل: ژھاے <س: چھایا)۔
۱۔سہ گۆٹ یُس گاشَس ٹھَرِ ستی گژھان چھُ۔
۲۔گاشَس منٛز انسانس بیترٕ سُند ژٕمینہٕ بیترٕ پیٹھ
پیۆمُت سایہٕ۔۳۔ژھل روٗٹ (گاشہِ بیترٕ نشہٕ)۔
۴۔تھپھ۔تصرُف۔پرٛاہ۔۵۔(کأنسہِ ہُندیا
کُنٛیگ) برٛونٛتھ۔۶۔شکھ۔وٕہمہٕ۔م: دِلس
چھَس ژھاے۔
ژھاین تہٕ گرٛاین وِچھُن:۔۱۔لولہٕ تہٕ شوقہٕ سان
خیال تھوٗن (کأنسہِ ہُند)۔حدٕ رۆس لول
برُن۔۲۔کأنسہِ ہُندٕ رُت وُچھتھ بو کہٕ پھولنہٕ۔
ژھایَن وِچھُن:۔شوقہٕ سان اِنتظارس روزُن۔
پرٛارُن۔
ژھایہ روزُن:۔۱۔عام لۆکن ہنٛزٕ نظرٕ نشہٕ ڈٲلتھ
روزُن۔۲۔کُنہٕ پتہٕ کُن روزُن۔یُتھ کانٛہہ
وُچھتھ ہیکہٕ نہٕ۔۳۔دولہٕ روزُن۔ٹھَرٕ روزُن۔

ژھایہ ژھایہ:۔ژۆرٕ ژۆرٕ۔لۆکن ہنٛزٕ نظرٕ بچاوِتھ۔
ژھایہ ژُھتھر:۔۱۔(ورگہٕ)سہ ییٚنٛدِس سالیس
تَل واریاہ بچَن۔۲۔(ہزلہٕ پأٹھی) خامخا ہِک
بۆڈ موہنیو۔م: یہ چھم ژھایہ ژُھتھر۔
ژھایہ گَتی کرٕنی:۔۱۔أتی نوٗن نیرُن تہٕ أتی غأب
گژھن۔گرٛا بُتھ ہاوُن تہٕ گرٛا ژۆرٕ روزُن۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی) وَرکرٕنی۔نٛخرٕ کرٕنی۔
ژھایہ گَتی گژھنی:۔برأتی گژھنی۔
ژھایہ گیٚیت:۔برۆنٛتھ یُس ژھاے وُچھتھ گژھِ۔
بُتھ ہاوُن تہٕ کھٹُن۔
ژھایہ ہۆل:۔۱۔لۆب کُن،ژۆرٕ ڈٲلتھ پھٔہن۔سو
جاے یوٚکُن نظر پلہٕ نہٕ۔۲۔شیٚہجار۔ٹھنٛڈی۔م:
ژٕیری کوٗرُن ژھایہ ہۆل۔
ژھاے آٮ۪ژ:۔۱۔بٔڑ کُنٛیگ وٕہمہٕ آسُن۔کأنسہِ مُتلق
بدگُمأنی یا شکھ آسُن۔۲ تصرف آسُن۔پرٛاہ آسُن۔
ژھانڈ وٕلگن:۔۱۔(کُنہِ یا کأنسہِ) پیٹھی کٔنی گاسہٕ
بیترٕ زألِتھ آلوُن۔تصرُف کاسنہٕ موکھ نار
زالُن۔شُر کوچھِ منٛز ژٕلتھ نارٕ پیٹھی ووٚتہٕ تارنہٕ
(ژٕہ پأٹھی ژۆتس پیٹھ)۔۲۔(وَرگہٕ پأٹھی)
چشمِ بدگالُن۔
ژھاے کرٕنی:۔گاشَس روٗٹ کرُن ٹھَرٕ بہُن۔
ژھاے کاٮ۪ژ:۔۱۔تھپھ ژٕلراوِنی۔تصرفہٕ نِش
موکلاوُن۔پرٛاہ کاسُن۔۲۔شکھ دوٗر کرُن۔

کینہِ کڈُن۔ منز پیوٚمُت پھاس ژُلراوُن۔

ژھاے گژھنۍ:-ا۔ روٗٹ گژھن۔ گاش کم گژھنہِ کِنۍ بوزنہِ نہ یُن۔۲۔ شِہُل گژھن۔۳۔ برونٛتھ گژھن۔ پرٛزِ ناوُنس منز دوکھ گژھن۔۴۔ تھِچھ گوٚھنۍ۔ تصرُف گژھن۔ پزاہ گژھن۔

ژھر:-(م۔ مؤل: ژھر < مٗ: ہ: چھبڑا)۔ا۔ چھاپر۔ اَکہ قسمُک ڈاکر۔۲۔ سہ کانٛہہ پٔتُل ہیٚوٚہ یُس ہوکھ سنٛز بیترِ ہوکھناونس لگان چھُ۔

ژھگلہِ:-(ن۔ مؤل: ژھگل۔ بڑ دیگ۔ بوٚڑ بانہِ یُس رنٛنس پاکوٚنس لگان چھُ۔

ژھلیُو:-(س:چھلہ+کہ)۔ا۔(کانٛسہِ) روٗٹمت پٔتھ۔ ۲۔ ترٛوومُت رِگنٛدن بأتھ۔

ژھلیُو رُٹُن:-ہیٚتھ زاُ رگتھ قوٚصوٗرمتہِ کھارُن۔

ژھلی بلی:-فنٛدِ یا طاقتہِ ستۍ۔ یتھِ کٔنۍ پلہِ یتھہِ کٔنۍ۔ کُنہِ پاُٹھۍ۔ وُچھو "ژھلہِ بلہِ"۔

ژھلراوُن:-وُچھو "ژھلُن"

ژھلُن:-دوکھس منز اَنُن۔

ژھاَر:-(م۔ مؤل: ژھار < پرٛاکرتھ: چھنڑ)۔ ا۔ تلاش۔ ووٚن۔۲۔ اَکھ وُنٛنۍ گاسہ ییتھ مَرژ وانگُن پنہِ چالہِ ویوٚٹھ پَن چھُ آسان تہ مؤلس تل چھس نچ گوٚنچ آسان۔

ژھاَر دِنۍ:-ژھانڈُن۔ تلاش کرُن۔

ژھاَنڈ:-(م۔ مؤل: ژھاُنڈ < پرٛاکرت: چھنڈہ، مٗ: ہ: چھانٹنا)۔ تلاش، تلأشی۔ کینٛہہ لبنہِ باپتھ ووٚن دِیُن۔ سارُن۔ جایہِ جایہِ وُچھن۔

ژھاَنڈ دِنۍ:- سأری پے وُچھن، سوٗرے وُچھتھ ترٛاوُن۔ دؤنٛژھ دِنۍ۔

ژھاَنڈ لگنۍ:- پرٛژھ گاُر لگنۍ۔ تلاش لگُن۔

ژھاَنٛژ ھر:-سبٹھاہ زاُ وٚیُل۔

ژھاَنٛژھ ناوُن:- ا۔ لوٚ ژراوُن۔ غم ژُلراوُن۔ ۲۔ پھیکو پیٹھ بوروالُن۔

ژھاَنٛژھن، ژھاَنٛژھ ہُن، ژھاَنٛژھ ووُن:-(ن۔ مؤل: ژھاَنٛژھ < پرٛاکرت: چھنٛنہِ < س: شَینہَ)۔ ا۔لوٚ ژراوُن۔۲۔(بناوتھ بیترِ) ژھٹُن یاباوُن۔

ژھاَنٛژھی جار:-بارلوٗنچ حالتھ۔۲۔ فِکرِ دؤرگژھنچ حالتھ۔

ژھپہِ۔(مؤل: ژِھپ < پرٛاکرت: چھِپَہ۔ مٗ: ہ: چھپنا) کانٛسہِ خبر کرنہِ روٚستے یا کانٛسہِ ہنٛز نظر پینہِ روٚستے۔ بے خبر پأٹھۍ۔

ژھد:- (ن۔ مؤل: ژِھد < س: چھِد)۔ منز رُکُن۔ روک۔ ٹھہراو۔ بنٛد گژھن۔ منز تھکھ۔

ژِھد کرُن:-ا۔ تھکھ کرُن۔ قرار کرُن۔ رُکن۔ ۲۔ ژھوپہِ کرٛنۍ۔ قرار ہیٚوٚہ یُن۔۳۔ سوٚ گنٛیار کرُن۔ گأشراوُن۔

ژِھد گژھن:-ا۔ ٹھہراو سپدُن۔ تھکھ گژھن۔ ۲۔ سلسلہِ پھُٹُن۔۳۔ سوٚ گنٛیار گژھن۔

ژِھلِم:-(م۔ مؤل: ژِھلم < س: چھلَم/ع: طِلِسم)۔

ا۔ فند۔ ژھل۔ ۲۔ وٹہٕ کھوٚر۔ سلم۔

ژھمبڑ:۔ (م۔مؤل: ژھمبر) سرِ کیہ لۆستہ گنیمژ ژ ژیمہٕ شام گژھن وِزِ بوزنہٕ چھےٚ یوان۔ شامہٕ ژھایہٕ۔

ژھمبَر پوش:۔ لیٚدرِ رنٛگہٕ اکھ وۄسنی پوشہٕ قسم۔

ژِھمبَر پوش ژھنُن:۔ تہٕ دٕپتھ گویا ری کرٕنی۔ اَتھ روٚٹ کرُن۔

ژِھمبڑ مِلہٕ وَن:۔ سَند یا کال۔ دوہ لوسنک وَق۔ سہ وق ییٚتھن راتھ تہٕ دوہ رَلان چھہِ۔

ژِھنی ا:۔ (ن/م۔مول: ژِھنی < س: چھِنہٕ) ۔ا۔ ٹکھ (ژٹنہٕ باپتھ) ۔گٕر۔ ۲۔ کانٛہہ چیز سَنٛنک آکھ یا پھٹھ۔ لہہ۔

ژِھنی ترٕنی ترُن:۔ چار لکنہٕ یا دَبا وپہنہٕ موکھ نِشانہٕ یا داغ گژھن۔ ٹاس بیتر وَسنہٕ کنی لہہ کھسنی چیز گنڈ گژھنگ نِشانہٕ پیوٚن۔

ژِھنی دِتی دیُن:۔ راتس، فِکر بیتر ژٹنہٕ باپتھ نِشانہٕ تراوُن۔ گٕر دِنی۔ ژٹُن۔

ژِھنی ۲:۔ (ن۔مؤل: ژِھنی < آوازِ پٹھ) ۔ا۔ تپلس پٹھ رَس بزنٛچ آواز۔ ژھر۔ ۲۔ ترَل مادَس تر وومت تژراوتھ داتک داغ۔ آہَن داغ۔

ژِھنی بز:۔ ژھٹہٕ بگار۔ تلنی پھش۔

ژِھنی تہٕ بزٕنی:۔ کنےٚ تلنی پھش۔

ژِھنی ژھر:۔ ا۔ وُچھو ''ژِھنی بز'' ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) پھوٗں پھاں، نخک دَز دَز۔

ژِھنگَر:۔ (ن۔مؤل: ژھنگر) ۔ا۔ وُچھو ''زِنگَر''

ژِھنگر کھیوٚن:۔ تاولُکن۔ زَکھ واتُن۔

ژِھنگر لُگُن:۔ تا ووتھُن۔ ضَرَر رواتُن۔ تیُتھ کینٛہہ سپدُن یہ سَہل سَہل سَند اَرتھ ہیکی زِنہٕ۔

ژِھنگُر:۔ ژِنہٕ مونگر۔

ژِھہُل:۔ (ن۔مؤل: ژِھہل) ۔ اَکھ شُری کھیل، اَتھ اَندر رچھےٚ ٹکی لِس رَزیوان گنڈنہٕ تہٕ کانٛہہ شُر چھُ رَزِ لُمتھ ٹکی لِس اَندی اَندی پھیران باَقی شُری چھس لور بوٕ ستی لایان۔

ژھینٛژھیُن:۔ (ن۔مؤل: ژھینٛژھن <؟ س: چھِنہٕ) لور کُٹُن، لاَومؤر۔ زاَوِچ مؤر۔

ژھیہہ ژھیہہ:۔ ڈِچہٕ ڈِچہٕ۔

ژھیہہ ژھیہہ کرُن:۔ ا۔ شُرس ڈِچہٕ ڈِچہٕ کرُن۔ ۲۔ خوشی ستی اوٚرِ یورٕ تہٕ یورٕ ہور کرُن۔ وولسنس یُن۔ گنہٕ نہٕ اَتھی یُن۔

ژھر:۔ (ن۔مؤل: ژھر < آوازِ پٹھ) تِتھس باَنس پٹھ آب ترٛاونٛچ یا رَس بزنٛچ آواز۔

ژھرژوٹ:۔ تپلس پٹھ تُلتھ تو ملہٕ آنٛچ ژوٹ۔

ژھر ژھر:۔ ا۔ ہمدردی کنی کانٛسہٕ ہِندِس مُصیبتس پٹھ وانٛجہٕ کیاہتام گژھن۔ دَیا۔ انصاف۔
۲۔ پٹُن مُظاہرٕ کرنہٕ باپتھ ووٹہٕ دوٹھ۔ م:

ژھر ژھر تہٕ کرٕ کرٕ متہٕ ووٗنی زالتم
سگہٕ ستی لو لِکہٕ پھولنا وتم

ژھنُن :-ا۔ بَرتھ دیُن ، داَرتھ دیُن ۔۲۔ ہیتُن کُنہِ اَندر کینہہ تراوُن ۔منز تھوُن ۔۳۔ اَندر والُن ۔
م: شرا کھ ژھنٕنی ۔۴۔ ناَلی تراوُن ۔لگاوُن (پلو پلِتر )۔۵۔ پیٹھ تراوُن ۔۶۔ پیٹھ باوُن ۔ مِ: ٹموٹنگ ٹوٗر ژھنُن ۔۷۔ لوٗکن منز باگ کینہہ تراوُن ۔مِ: ہیتر کتھ ژھنٕنی ۔۸۔ لاگُن ۔تھوُن ۔
م: پھیوٚر ژھنُن ۔۹۔ کاَنسہِ نَش یا کُنہِ جایہ تراوُن ۔ مِ: ژَن ژھنُن ۔۱۰۔ موکلاوِتھ تھوُن ۔
مِ: کھبتھ ژھنُن ۔

ژھوٚپ :- (موٗل: ژھوٚپ <س: چُپ) ۔ا۔ یُس ژَرِکتھ آسہِ نہٕ کران ۔یُس بکواسس عادتھ آسہِ نہٕ ۔۲۔ اَندرِ ہمَل ۔یُس اَندرِ کتھ سَہل سَہل صبر دِیہ نہٕ ۔

ژھوٚپے گاوچھے گَدٲمی کھاو :- تہِ دِتھ گو یُس اِنسان زیادٕ کتھ آسہِ نہٕ کران سُہ چھُ خطرناکھ آسان ۔اَندرِ ہمَل انسانس گوڈ ہِ ہراسہِ کرُن ۔

ژھوٚٹ :-(موٗل: ژھوٚٹ <مٕ ۔ہ: چھوٹا <پراکرت: چھوڑٕ <؟س: چھوٹتہٕ ) ۔ا۔ رادٕ کم ۔تھزٕ رکم ۔ یُس زیچھرِ برابر آسہِ نہٕ ۔قدٕکم ۔۳۔ یہ نہٕ دوٗر تام پرٕ (نظر ہیتر ) ۔

ژھوٚٹس فیل وٕٹس سوٚمب :- تہِ دِتھ گو ژھوٚٹ اِنسان زاَنی زِہن سٕخ پھچل ۔

ژھوٚٹے گو موٚٹ :- تہِ دِتھ گو حد روزٕنے گو جان ۔موخصر کلامے زاَنی زِہن سبٹھاہ ۔

ژھوٚٹ تہٕ گوٚٹ :- (وو ہو) تِتھ حالتھ یَتھ منز بوزنہٕ کم ییہ تہٕ اِنسان کُن پلہِ نہٕ ۔ژووایاَری اَنہٕ گوٚٹ ۔سٕخ مُصیبتھ ۔

ژھوٚٹ تہٕ گوٚٹ میلُن :-ا۔ سٕخ مُصیبتھ پیوٚن ۔ سٕخ مُشکِلس منز ہینہٕ یُن ۔۲۔ زُونیرنک وَق واتُن ۔مرن وَق واتُن ۔ بچنچ براتھ نہٕ روزٕنی ۔

ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ :-ا۔ قدٕ کنی کم مگر موٚٹھ ۔۲۔ ہوٚزِتھ ۔ ژوزنہٕ ۔موخصر ۔مِ: ژھوٚٹ موٚٹ عیال ۔

ژھوٚٹ سونچُن :-ا۔ دوٗرِچ ۔بوزٕ شوژنہٕ تھوٕنی ۔ یہنہٕ سونچُن زِ بروٗنہہ کُن کیاہ بنہِ یا لوٗکن پیٹھ کیاہ اَثر پیہِ ۔پننے یوت فایدٕ وُچھُن ۔۲۔ کُنہِ کتھِ یا مامِلس نہٕ ہتُن ۔پیٹھی پیٹھی نظر تراوٕنی ۔

ژھوٚٹ کرُن :-ا۔ تراش ہینٕنی ۔اَڈہن ژٕٹنی ۔ ۲۔ موخصر کرُن ۔ژروَ کھنہٕ نہٕ کرٕنی ۔۳۔ زیچھر نہٕ دیُن ۔بڈٕ راوُن نہٕ ( کانٛہہ کاَم کار ہیترٕ ) ۔
۴۔ زیادٕ دُم دام نہٕ کرُن ۔ زیادٕ لوٗکن نہٕ پرٕژھن ( کھاندرس ہیترِ پیٹھ ) ۔

ژھوٚٹ گرٕژھن :- ا۔ رادَس برابر نہٕ یُن ۔ ۲۔ شروگُن ،اَژُن یا ژمُن ( کانٛہہ پلو )

ژھوٚٹرُن :-ا۔ ژھوٚٹ کرنٕچ عمل ۔موخصر کرنٕچ وَتھ ۔ ۲۔ ژھوچر ۔

ژھوٚٹراوُن :- وُچھو ''ژھوٚٹرُن''

ژھۆٹرُن :- (ن۔ مۆل: ژھۆٹر>وِچھو۔ ژھوٹ)
۱۔ موخصر کرُن۔ ژِچھر نہٕ دِیُن۔ ۲۔ ترٛاش ییٚنۍ۔ لاد ییٚنۍ۔

ژھۆٹرِتھ آسُن :- ۱۔ گرٛہستھ زیادٕ بوٗڈٕ نہٕ آسُن۔ گرٕس کِہے باُژ آسٕنۍ۔ ۲۔ سبٹھاہ کم تیداس منٛز آسُن۔ گرٕژِ کنۍ کم آسُن۔

ژھۆر :- [زَن۔ مۆل: ژھر >مُ + ہ: چھڑا] خاُلی تہٕ یتھ أندرٕ کینٛہہ آسہِ نہٕ أندرٕ چھوٚن۔ ژھوٚژ۔ ۲۔ ہاشہِ۔ ہٹ۔ ۳۔ یَس گزار آسہِ نہٕ۔ ۴۔ لوٚت۔ یَس کینٛہہ بارِ آسہِ نہٕ۔ ۵۔ بے پرداخت۔ اوژھ۔ ۶۔ سُہ یَس وپَن بانہٕ آسہِ نہٕ۔ یَس خاص پَے آسہِ نہٕ۔ یَس پوٗرٕ واُقفیتھ آسہِ نہٕ۔ ۷۔ اوٚپ۔

ژھر بوا آتھو :- پاُنسہٕ ٹٕنکہِ روٗس۔ ہاروٗدیا روور اَے۔

ژٕھرِے مٔٹ چھےٚ وزان :- تہِ دُپتھ گونہٕ آسنٕس منٛز آسنٕکی دَم دِنی۔ سُہ زانٕس منٛز گاٹہٕ جار تھسکُن۔

ژٕھری آتھ :- تہِ دُپتھ گونبد یوٗر آسُن۔ غرٛیبی۔

ژھۆر آسُن :- ۱۔ خاُلی آسُن۔ أندرٕ نہٕ کینٛہہ بُرِتھ آسُن۔ ۲۔ دانہٕ پوٚشیوٗمت نہٕ آسُن۔ ہاشہِ یا ہٹ۔ ۳۔ غرٛیب آسُن۔ کانٛہہ گزار نہٕ آسُن۔ ۴۔ لوتہٕ واَے۔ کینٛہہ نکھس نہٕ آسُن۔ ۵۔ بے پرداخت آسُن۔ اوژھ آسُن۔ ۶۔ ناواُقف آسُن۔ بے خبر آسُن۔

ژھۆر کرُن :- ۱۔ کوٗرُن۔ أندرٕ ژھٕٹھن۔ ۲۔ کانٛہہ گزار نہٕ تھوٚن۔ سوٗرے پوٗنسہٕ ٹوٚنک نیُن۔ ۳۔ شُس کرُن۔ کمزور کرُن۔ مِ: سُہ چھُ بیمار ژھۆر کوٗرمُت۔

ژھۆر گرٕژھن :- ۱۔ خاُلی گرٕژھن۔ منٛز نہٕ کینٛہہ روزُن۔ ۲۔ کانٛہہ گزار نہٕ روزُن۔ کانٛہہ صوٗرتھ نہٕ روزٕنی۔ ۳۔ (فاقو یا بیمارِ کنۍ) شُس گرٕژھن یا ہیکتھ نہٕ روزٕنی۔

ژھۆرُے :- ۱۔ خاُلی۔ یتھ منٛز کینٛہہ آسہِ نہٕ۔ ۲۔ یَس کینٛہہ بارِ آسہِ نہٕ۔ ژٕھرٕ وے اَتھو۔ یَس کینٛہہ ستی آسہِ نہٕ۔ ۳۔ یَس کینٛہہ یا کُنٛہ خبر آسہِ نہٕ۔ بے خبر۔

ژھۆژ :- (ن۔ مۆل: ژھوژ >مُ ۔ہ: تھوتھا)۔
۱۔ موٗچ اَنٹ یا گنڈ یتھ گوٗج رُے گوٗھنہٕ کنۍ أندرٕ ژھر بر آسہِ۔ ژھۆر۔ یتھ اندر کینٛہہ آسہِ نہٕ۔ کھوکھر۔ ۲۔ سُہ اِنسان یُس لوٚت آسہِ۔ سُہ یَس نہٕ کُنٛہ خبر اَتر آسہِ۔ ناواُقف۔ ۳۔ اوٚپ۔

ژھوژِ کاُنٛی مَشورٕ :- تیُٚتھ مَشورٕ یتھ کانٛہہ بوٗر آسہِ نہٕ۔ سُہ مشورٕ یتھ پٔتھ پکتھ ہیکی زِنہٕ۔

ژھوژکون :- ۱۔ مۆلہٕ ژھۆرُے۔ یتھ أندرٕ کینٛہہ آسہِ نہٕ۔ کھوکھر (کانٛہہ موٗ ہیترٕ)۔ ۲۔ نالگہٕ ہار۔ گنہٕ کامہِ ہُند نہٕ (کانٛہہ انسان)۔

ژھۆکی :- یَس دَزٕ بُزٕ آسہِ۔ یَس اَپرٕ ے چاو آسہِ۔

تھکبناوَن وول۔ تھیٚکۍ نل۔

ژھوٚنٛد :- (ن۔مؤل: ژھند <س: چھید۔ چھِد کہ) حملہِ کہِ یاوا کھکہِ تھلک نِشانہٕ۔ لیکھنس منٛز تھلک نِشانہٕ۔

ژھوٹہٕ :- (ن۔مؤل: ژھوٹ <س: شُنٛڈ۔ م۔ہ: ہوٹا) ۱۔ دَگن۔ سُہ لوٚتھ یمہِ ستۍ کینٛہہ ژیٹنہٕ ییہِ۔ ۲۔ لاینہٕ باپتھ یا گلناونہٕ باپتھ موٚٹ لوٗر۔

ژھوگ :- (ن۔مؤل: ژھاگ <س: ؟ شِکھا) ۱۔ سُہ مَس لوٗنٛگ یُس ہیٚنٛدۍ آیستانس پیٚٹھ تھاوان چھِ۔ مَس کاسِتھ کلس پیٚٹھ تھاونہٕ آمُت مَس گونٛد۔ ۲۔ تمہِ نچہِ تہٕ زاوۍ جہ تیر یمہِ بُلبُلس، ستّس بیترِ تالہِ چھےٚ آسان۔ ۳۔ سُہ مَس ہیٚو یُس مکایہِ وَچہِ تالہ پیٚٹھ چھُ آسان۔ سینٛپر۔ ۴۔ گرۍ ہیٚنٛز یالہِ ہُنٛد پھوٚنٛگ۔ ۵۔ (ورگہ پاٹھۍ) سَرتاج۔

ژھاگ گُتُھر :- (ہزلہِ) زیٚوٗٹھ تہٕ گوٗن ژھوگ۔

ژھاگ گرموٚنٛڈ :- ژھاگیک مؤل۔

ژھوگ یوٚڈُن :- (فرضس ایحساسَس بیترِ) تل یُن، ژھٹھ نیرٕنۍ۔

ژھوگ تراوُن :- ۱۔ مَرنہٕ وِزِ ژھاگس گنڈ موٗرُن۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھۍ) کرٕ کرُن۔ کانٛسہِ ہِنٛدۍ دٔسۍ مَرن وأِلس کہَن دوہن کتہِ یہِ کرنہِ (مرنکۍ رَہم پوٗرٕ کرٕنۍ)۔

ژھولہٕ :- (م۔مؤل: ژھول) بیہِ، خوف۔ خطرٕ۔ وَحشتھ۔ بےٚ حِسی۔ طاقتھ نہٕ روزنٕچ حالتھ۔

ژھولہِ پیٚنہٕ :- سامرٕتھ نہٕ روزٕنۍ۔ ہتھ گژھن۔ سُمہِ پھٹنہٕ۔ م: کوٗٹھن پیٚیس ژھولہٕ۔

ژھوپہٕ :- (م۔مؤل: ژھوپ <س: چُپ)۔ دَم۔ کتھ نہٕ کرنٕچ حالتھ۔ کُنہِ رَنگہٕ نہٕ کانٛہہ آواز۔ ستھ یا بُتھ نہٕ۔ خاموشی۔

ژھوپہِ منٛز نیرُن :- گوٚش دِنہٕ ستۍ پننٕ کام انٛدٕ نۍ۔ کتھ نہٕ کرنہٕ ستۍ پنُن مطلب باَمَل یُن۔

ژھوپہ چھےٚ روپہِ ہیٚنٛز کرٕ کھےٚ تہٕ سونہٕ ہیٚنٛز :- تہٕ دٔپتھ گو ژھوپہ چھِ واریاہ فأیدٕ تہٕ زیوٚ گلونَس چھُ لانٛج یوان۔

ژھوپہ دَب :- کُنہِ رَنگہٕ نہٕ کانٛہہ آواز (کُنہِ خوفہٕ بیترِ کِنۍ)۔ مُنٛز۔

ژھوپہ دَم :- اَکھ کتھ تہٕ نہٕ کرٕنۍ۔ کُنہِ انٛدٕ نہٕ ہِسر صدا تہٕ۔ اَس وُٹھ بیٚہنٕچ حالتھ۔ سخ خاموش۔

ژھوپہ دَم گرِتھ :- کَنٛس کُن خبر کرنہٕ روٗس۔ ستھ بتھ کرنہٕ ورأے۔ لوٗت پاٹھۍ۔

ژھوپہ ژھوپأے :- کانٛہہ کتھ اَنٛدرۍ اَنٛدرۍ دباونۍ۔ کتھِ نہٕ بازر پیٚنہٕ دیُن۔ کتھِ وُرن کرُن۔ کانٛسہِ خبر گژھنہٕ ورأے۔ تلۍ تلۍ یا اَنٛدرۍ اَنٛدرۍ۔

ژھوپہ کرٕنۍ :- ۱۔ کتھ کرنہٕ بنٛد کرُن۔ وٕژ وٕژ نہٕ دیُن۔ ۲۔ گوٚش دیُن۔ جواب نہٕ دیُن۔ کتھ کھیٚنۍ۔

ژھوپہ گرِتھ :- ۱۔ (کانٛسہِ کینٛہہ) وَننہٕ روٗس، کینٛہہ

وَنہٕ ورأے ۔۲۔لۆت پأٹھۍ ، ژۆرِ پأٹھۍ۔
کأنسہٕ خبر کرنۍ

ژھوپہٕ گڑھنۍ :-۱۔کینہہ نہٕ پھورُن۔کُنہِ کتھِ ہٕنہٕ جواب دِتھ ہکُن۔۲۔ (سأری) ہے بنگہٕ گڑھنۍ۔۳۔وَدُن رِوُن بَند گژھن۔

ژھوپہٕ لاگنۍ :- زأنتھ مأنتھ کینہہ نہٕ وَنُن۔ گۆش دِیُن۔

ژھوپہٕ مُنتٔھر :-شِوٕمَتس منزٕ اَکھ خاص طرٕیقہٕ یتھ منز گفظن پھیر چھُنہٕ دِنہٕ یوان بلکہ چھُ خاص طرٕیقہٕ سان شاہ کھارنہٕ والنہٕ یوان۔م: ذِکرِ ر وس ذِکر۔ازپا زِپھ۔

ژھوپہر :- ژھوپہٕ کرنُک عادَتھ (کُنہِ وِزِ چھُ اَتھ لفظس سوپہر لفظس سٟتۍ بُل گوھان۔م: یہِ سوٗرے کُھرآوتہِ پسنٛدٕ ژھوپہر سٟتۍ۔

ژھوٹہٕ/ ژھوٹہٕ گنڈٕ رٹُن :-۱۔تیٚتھ ہیتھ رٹُن یتھ نہٕ کینہہ تگہِ۔تتھہِ پأٹھۍ رٹُن یتھ ژٕلتھ ہیکہِ زِنہٕ۔۲۔گنڈُن بأتھ ژھٕنُن۔

ژھوٹہٕ :- ژھوتمہٕ۔ژھوٹینگہٕ۔قدٕ کٕنۍ ژھوٹ۔ٹھنگنہٕ۔ ٹھنگہٕ۔

ژھوٹہٕ بَرووٹہٕ بوٗر :-۱۔لیُٹھ وَتھ۔سووَتھ۔ییأرۍ کُنہِ جایہِ دَوان دَوان وأتۍ زِ۲۔کأنہہ کأم طوالَت بغأرٕ ے اَندٕ واتناوٕنۍ۔م: دَپن تہٕ مأنزٕراتھ کُنۍ۔

ژھوٹہٕ بوٗر :- ۱۔وارِ اَژنُک پست بوٗر۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ)

لیُٹھ وَتھ۔

ژھوٹہٕ کاکھ :- ہَرزِ پأٹھۍ تَس ژھوٹس اِنسانس وَنان یُس کو پھیٚچہٕ آسَن یُس کھوڑ پھیچِل آسہِ۔

ژھوٹہٕ کوٗن :- شِکس لَد۔نابہٕ کار۔

ژھوٹہٕ گوگُل :-ژھوٹ تہٕ موٗٹ اِنسان۔

ژھوٹُر :-۱۔قدٕ کٕنۍ لوکُٹ۔ بِنکٕہ۔۲۔کٹیٚگ ژھوٹُر۔ موٗھَر۔تصغیر۔

ژھوٹُر موٹُر :- قدٕ لوکُٹ مگر موٗٹ۔م: ژھوٹر موٹر مامنہٕ ہَن۔

ژھوٹُن :- (مۆل: ژھوٹ ← ژچھو۔ژھوٹ)۔ ۱۔ژھوٹ گژھن۔راوٕ کم گژھن۔برابر نہٕ یُن۔ ۲۔مَنٛدٕنہٕ یا چھلنہٕ سٟتۍ پلوک اَژُن۔۳۔شرٕ وکُن۔ کاوُرن (کُنہِ اَنٛگُک) م: زَنٛگ یا نُر ژھوٹُن۔ ۴۔وأنٛس پۆرٕ گژھنۍ۔آب دانہٕ موکلُن۔

ژھوٹان یُن :- (ورگہٕ) نزدیکی رِشتہٕ دار بیترِ مَران گژھنۍ۔

ژھوٹیومُت :- (ورگہٕ) مرنس وُدمُت۔وأنٛس موکلیمُت۔(پۆرٕ چھُ آسے ژھوٹیومُت)

ژھوٹیومُت آسُن :-آب دانہٕ سوُرن۔مَرن وَق واتُن۔

ژھوٹینگہٕ :-(حقارژٕ کٕنۍ) قدٕ کٕنۍ لوکُٹ اِنسان ٹھنگنہٕ۔

ژھوٹمہٕ :-قدٕ کٕنۍ سبٹھاہ ژھوٹ۔ژھوٹینگہٕ۔ژھوٹہٕ۔

ژھوٹھ :-(ن۔مۆل: ژھوٹ ← ژ اکرت: سِٹھاد س: شِشٹا)۔۱۔کوٗڑ، لوٗہ بیترِ۔۲۔سُہ چیز یُس

کُنہٕ لگہٕ نہٕ۔ یَتھ کینٛہہ مول آسہِ نہٕ۔ ۳۔ سو جاے
پیٚتہٕ کوٗڑ پیٚوٗمُت آسہِ۔

ژھوٹہٕ پچھن:- (ورگہٕ) بےٚ پَرتیتھ۔ یِزتہٕ وٗتھمُت۔
یَس ساری نیچہٕ نظرِ وٗچھان آسَن۔

ژھوٹہٕ پیٹھ وٗتھمُت:- وُچھو ''ژھوٹہٕ پیٹھک''

ژھوٹہٕ پیٹھک:- شِکس لَد۔ بیچھ۔ یَس ژھوٚٹ
نظر آسہِ۔ فقیٖر کٹھ۔

ژھوٹہٕ شِکار:- (ورگہٕ) تہٕ کرُن یمہِ منٛزٕ نہٕ کینٛہہ ییٚر۔

ژھوٹہٕ فقیٖر:- ۱۔ سُہ فقیٖر یُس ژھوٹہٕ پیٹھ چیز آسہ
سوٗ مبران۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) کمینہٕ۔ کم ذاتھ۔

ژھوٹہٕ بیچھ:- یَس ژھوٹُس پیٹھ بیہنس عادتھ آسہِ۔
یَس گنٛدٕ تہٕ غلیٖظ روزان آسہِ۔ منحوس۔ شِکس لد۔

ژھوچر:- (ن۔ مؤل: ژھوچر < وُچھو، ژھوٚٹ)۔
۱۔ ژھوٚٹ آسُن۔ رادٕس یا کاڈس منٛز کمی۔
رادکم آسٕنۍ حالتھ۔ ۲۔ تنگی۔ پَرگی۔ م: جایہِ
ژھوچر۔ ۳۔ موخصر آسٕنۍ حالتھ۔

ژھوچر دیٖن:- ۱۔ موخصر کرُن۔ طوٗل نہٕ دیُن۔
۲۔ ژٹہٕ وُن پکُن۔

ژھوچہ:- (مؤل: ژھوچ < پراکرت: سِٹھا < س: شِشٹا؟) لبہٕ، بوٗٹھ بیتر۔ تہٕ یہٕ نہٕ لگہٕ ہار آسہِ۔

ژھوچن سؤر کاسُن:- اَپزِ شوٗ کرنہٕ۔ پرٛتھ کُنہِ رنٛگہٕ شیٖنٛگھ کاُستھ پانس تَسلا کرُن۔

ژھوچہ ژوٗر:- کمینہٕ۔ کم ذاتھ۔ یَس پیٚنتہٕ ڈِنس یا
کھنبس ہأل آسہِ۔ یُس پیٚنتہٕ واد دِوان آسہِ۔

ژھوژَر:- ۱۔ ژھرٛبر۔ کھوکھر یار۔ گوٗج نہٕ آسٕنۍ حالتھ۔
۲۔ بےٚ خبری۔ نہٕ زانُن۔ ۳۔ غریٖبی۔ اَتھہ ژھربر۔

ژھوژکون:- وُچھو ''ژھوژ'' لفظس تَل۔

ژھوژُن:- < وُچھو ژھوژ) ۱۔ (اَندرِ) ژھوٚر گژھن۔
اَندرٕ دوورُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) ہِمتھ نہٕ
روزٕنۍ۔ جرأت نہٕ روزُن۔ پھاٹُن۔ ۳۔ (ورگہٕ
پاٹھی) کانٛہہ گزارٕ نہٕ روزُن۔ غریٖب گژھن
پھٹکُن۔

ژھوکل:- (مؤل: ژھوکل < ژھوکھ)۔ ۱۔ یتھ ژھوکھ
آسَن لگٕمتۍ۔ آمہِ تاوٕ لد۔ ۲۔ یَس بٔلۍ تیٖہہ
آسہِ۔ دزٕ بزٕ لد۔ کبری۔

ژھوکُن:- (ن۔ مؤل: ژھوک < ؟س: سنٛدُکش)۔
۱۔ تھکُن۔ لوٗسُن۔ سوٗتُن۔ م: پکان پکان ژھوکُن۔
۲۔ کمی گژھنۍ۔ سوٗرُن۔ روٚٹ گژھن۔ م: پوٗنۍ
ژھوکُن۔ ۳۔ میٚحنتہٕ رنٛگی پیٹھ گژھن۔ کمزور
گژھن۔ م: زوٗژھوکُن۔ ۴۔ غریٖب گژھن۔
صوٗرتھ نہٕ روزٕنۍ۔ م: پوٗنسہٕ ژھوکُن۔ ۵۔ بوٗلتھ نہٕ
ہیکُن۔ ژھوپہٕ گژھنۍ۔ کتھ کران کران پھٹُن۔
م: کتھ ژھوءِ کٔنۍ۔

ژھوکیٖوٗمُت:- ۱۔ تھوٗ کمُت۔ لوٗسمُت۔ سوٗتیوٗمُت۔
ہوٗکھمُت۔ سوریوٗمُت۔ ۲۔ پھاٹیوٗمُت، یَس
کانٛہہ گزارٕ روٗدمُت آسہِ نہٕ۔

ژھوکھ:- (ن۔مؤل: ژھوک)۔ ۱۔ آمہٕ تاو۔ رَژھا
دَزن۔ نارٕ چھیپہٕ۔ ۲۔ (ورگہ پاٗٹھۍ) دَزٕ بُزٕ۔
اَپزٕ چاٗلۍ۔ ٹٕلۍ بوش۔ ۳۔ ژِھنٛگر۔ تاو۔ تٕڈاکھ۔ م:
فاقہٕ دِیِ دِیِ لوٚگُس ژھوکھ۔

ژھوگس چھُ پھوکھ وَسان:- تہٕ دٕپتھ گودزٕ بُزٕ
لَدس چھےٚ اٗخرٕ رُسواٗیی گژھان۔

ژھوکہٕ تکھ:- تیوٚنٛگلن پیٹھ بُزمُت ماز پھوٚل۔

ژھوکہٕ شِکار:- (کاٗنسہِ اَنٛز انہٕ سُند) ٹٕلۍ بَجر ہاونہٕ
باپتھ شِکارس نیرُن۔

ژھوکہٕ لَد:- وُچھیو "ژھوگل"۔

ژھوکہٕ ناو:- سبٹھاہ ژھوکھ۔ اَپزٕ ے تیٚمہٕ۔ پزٕ نہٕ
پیٹھۍ چاٗلۍ۔

ژھوکھ دِین:- آمہٕ تاو دیُن۔ پیٚٹھۍ پیٚٹھۍ نارس
باٗوِتھ زالُن۔

ژھوکھ کھیوٚن:- ۱۔ وُژُن کھسُن، ژٕکس لارُن۔
۲۔ تٕڈاکھ لگُن۔ تاو لگُن۔

ژھوکھ لگُن:- ۱۔ آمہٕ تاو لگُن۔ فاقہٕ بیترٕ لگنہٕ کِنۍ
ژھنگر لگُن۔

ژھومب:- (م۔مؤل: ژھومب <س: چھدمہ)
ژِھلِم، سِلِم۔ کینٛہہ مُشکِل کاٗم کرنٕچ ژھوٚٹ یا
ژوٗرِ وَتھ۔

ژھومب کرٕنۍ:- ژٕھل کرُن۔ چال کرٕنۍ۔

ژھوہ:- (ن۔مؤل: ژھوہ) خوٚشی تہٕ شادماٗنی۔ یہٕ
منٛس پزٕ یٮ۪ہٕ تہٕ کرُن۔ یایِم۔ بےٚ رُوک ٹوٗک آسنٕچ
حالتھ۔ یوٚت خوٚش یِیہٕ توت پھیرُن۔

ژھودیِن:- یایِم کرُن خوٚشی سٟتۍ اورٕ یورٕ تہٕ یورٕ ہور
کرُن۔ عاٗش کرٕنۍ۔ ڈالہِ مارنہٕ۔

ژھوہ مارٕنۍ:- بےٚ وایہ پاٗٹھۍ گنٛڈن دزٕ وُن۔
ژٕژٕ ژٕژٕ پکُن۔ عاٗش کرٕنۍ۔

ژھوہ مارٕنۍ دوہ وُچھِتھ:- موقہٕ وُچھِتھ تمیٚک فاٗیدٕ
تُلُن۔ وَق وُچھِتھ یایِم کرُن۔

ژھیٚچر:- (ن۔مؤل: ژھیٚچر <وُچھو: ژھیوٚٹ)۔
۱۔ ناپاک۔ شرٕ وُژنہٕ آسنٕچ حالتھ۔ ۲۔ شرٕ وژنہٕ
آسنہٕ کِنۍ کھیوٚن لایق نہٕ روزُن۔

ژھیٚچر کرُن:- ناپاکی کرٕنۍ۔ کنہٕ پوٚترٕ جایہ کینٛہہ
تیتھ کرُن یہِ کرُن پزٕ نہٕ۔ کُنہٕ پاکھ جایہ گنٛد
ترٕاوٕنۍ۔ پاکھ جایہ کاٗنہہ ناپاکھ حرکتھ کرٕنۍ۔

ژھیٚچر گژھُن:- ناپاکی گژھٕنۍ۔ کُنہٕ ہوٗنس بیترٕ
پیٹھ کاٗنہہ اُتھرٕ گژھُن۔ پاک چیزس یا پاک جایہِ
ناپاک چیز پیوٚن۔

ژھیکیٖل:- وانُن ہٕژٕ سولٕش یوسہٕ گُرِس پڈرس ہیوٚر
پھَن الاٗنٕژ چھےٚ آسان۔

ژھیٚنٛڈر:- (ن۔مؤل: ژھیٚنٛڈ <س: چھنٛد)۔
۱۔ باٗتھ۔ ۲۔ (ورگہ پاٗٹھۍ) سخ یزتھ سخ مان۔
واوجہ واو۔

ژھنٛد تہٕ گوٚنٛد کرٕنۍ:- (ل۔م)۔ گون گوٚنۍ تہٕ

پوش لاگنی ۔ (ورگہٕ ) سخ یرٛتھ کرُن

ژھوِنی :- رؤدس ژھِد گرٛھنگ وَق۔ م: ژھوِنہِ بٲگر ۔

ژھوٚبر :- ۱۔ بڈٔ اوبٕچ حالتھ ۔ ژھبتہٕ کرنٕچ حالتھ (اوگن ہیتر ) ۔۲۔ہوٚ مراوُن۔ ہوٚ مراونٕچ حالتھ۔ ۳۔ (ورگہٕ پٲٹھی ) ہُر ہیترِ ژھنن دینن ۔ م: ہُر اونکھ ژھوٚبر۔

ژھپل :- سُہ یُس یژ پٲٹھی نوٚن آسہٕ تہٕ آسان۔ سُہ یَس کھُنٛتھ ہیٚن عادتھ آسہِ ۔ یُس خالے نظرِ آسہِ یوان۔ ژؤرِ کھُتی کرُن وول۔

ژھپُن :- ژؤرِ ہیٚن۔ کھُنٛتھ ہیٚن۔

ژھچبھ :- (م۔ مؤل ژھپ <پرٛاکرت، چھپیہٕ ۔ <س: کشوپ کشپکھ )۔ ۱۔ کانٛسہِ اتھہِ تہٕ لگنہٕ باپتھ ژؤرِ روزنٕچ کام۔ پان کھُنٛچ کام ۔۲۔ کُنیگ نابوٗد گژھن۔ اتھہِ تہٕ لگُن ۔ م: پانٛسن ہیٚو ژھچبھ۔ ۳۔ کُنہِ ٹھوٚرلگن۔ کینٛہہ بُتھہِ تہٕ کِنہ نظرِ تلہٕ غآب گژھن۔ م: ہبری یَن ہیٚو ژھچبھ۔

ژھپٕہ ژھپٕہ :- پیٚتہٕ پیٚتہٕ ( کانٛہہ ) کھُنٛتھ روٗزِتھ ہیکہِ ہے تَتہٕ تَتہٕ۔

ژھپَن :- ژھپَن جاین۔ ژؤرِ کھتنن ۔ تِتھن شایَن پیٚتہٕ تہٕ بوزنہٕ یِز۔

ژھپَن اَژُن :- (ہیمہِ مُصیبتہٕ یا مُند چھ آسنہٕ کِنی) ژؤرِ کھتنن اَژُن۔ ژؤرِ ہیٚن۔ پان تہٕ نوٚن کڈُن۔

ژھپَن ژھاأر :- اَکھ شُری گنٛدُن۔ أنی ژھپر۔

ژھپہٕ دِنہٕ :- ۱۔ (خجالژٕ کِنی ) پان کھٹہٕ نٕچ کوٗشش کرٕنی ۔۲۔ (کُنہِ کامہِ نِش ) پوٚت ہیٚنٕچ کوٗشش کرٕنی ۔ کامہِ ژؤرِ لاگُن ۔

ژھپہٕ ژھاأر :- اَکھ شُری گنٛدُن ییٚتھ منٛز اَکِس شُرِس أچھ تھوٚپ چھہِ دِوان تہٕ باقی گنٛدن بأجِ چھہِ ژؤرِ روزان، یُس شُر أچھ تھوٚپ دِتھ چھُ آسان سُہ چھُ اَدِ ژؤرِ روزَن والین ژھانڈان تہٕ یُس تَس اتھہِ لگہِ نَو بازِ منٛز چھہِ تَسی أچھ تھوٚپ دِوان۔ أنی ژھپر۔

ژھپہٕ ژھاأر دِنی :- ژؤرِ روزُن، کھُنٛتھ ہیٚن۔

ژھپہٕ ژھپہٕ :- پان کھُنٛتھ تھاوُنہٕ باپتھ ژؤرِ ژؤرِ اَکِہ جایہِ پیٹھ بیٚیِس جایہِ گژھن کُنہٕ یا کانٛسہِ ہنٛدِ خوفہِ یا بیمہِ ہیترِ کِنی تہٕ پان نوٚن کڈُن۔

ژھپہٕ ژھچبھ کرٕنی :- ۱۔ کھتنن اَژُن۔ خوفہِ یا بیمہِ موکھہِ ژؤرِ روزُن ۔۲۔ أتی نوٚن گژھن تہٕ أتی ژھایہِ ہوٚل۔ م: زؤن چھےٚ ژھپہٕ ژھچبھ کران۔

ژھچبھ دِنی :- ۱۔ زأنتھ مأنتھ ژؤرِ روزُن۔ پان اَتھہِ تہٕ دینٛن دِنہٕ۔ ۲۔ کانٛہہ چیز غآب گژھن، کم گژھن، بنُن نہٕ۔ م: پأنٛسن دِژ ژھچبھ ۔ ۳۔ بُتھہِ ٹھوٚرہِ بنہٕ کِنی بوزنہٕ تہٕ یُن ۔

ژھچبھ ژھیٚن تہٕ گرٛاے :- دوٚیمین برٛم دِنہٕ موکھہٕ أتی نوٚن نیرُن تہٕ أتی ژؤرِ روزُن۔ ژھایہِ گتی کرٕنی۔

ژھچبھ ہیٚنی :- پان کھُٹُن۔ کھُنٛتھ روزُن۔ ژؤرِ ہیٚن ۔

کانْہہ چیز ترٛاوتھ جایہِ لگُن ییتہٕ نہٕ بوزنہٕ ییہِ۔
م: اَتھ اَندر پییہِ روپے تَمہِ ہیٚژ ژھپھ۔

ژھپھ ہیتھ بہُن:- تیتھٕ پاٹھی ژوٗرِ بہُن یتھ کانْسہِ پےٚ لگہِ نہٕ۔

ژھبتہٕ:- (مؤل: ژھبت <س: شانتہٕ) ا۔ ژھیٚوٗمُت۔ وبتہٕ گومُت۔ یَتھ وُشنیر آسہِ نہٕ۔ ۲۔ سبٹھا شُس (ژوٗنبتہٕ) کہٕ روٗدمُت۔ ۳۔ (چمکھ یا ریٚہہ) سوٗتےمُت۔

ژھبتہٕ کرُن:- ا۔ ژھیٚوٗراوُن۔ وبتہٕ کرُن۔ ۲۔ چمکھ یا ریٚہہ ختم کرٕنی۔

ژھبتہٕ کایُر:- کایُر زیٚن ییمہِ چہٕ ژنہٕ سَہل سَہل وُہان چھنہٕ تہٕ وُہہ ناوِتھ چھےٚ ژھبتہٕ تہٕ ژھبتہٕ گژھان۔

ژھبتہٕ گژھُن:- ا۔ ژھیٚوٗن۔ وبتہٕ گژھُن۔ ۲۔ چمکھ یا ریٚہہ سوٗتنی۔ ۳۔ شُس گژھُن۔ ژوٗنبتہٕ نہٕ روزُن۔

ژھبٹُن:- (< وُچھو "ژھبٹھ") ا۔ ناپکھ گژھُن۔ کھیٚوٗن لایق نہٕ روزُن۔ ۲۔ برٛشٹھ گژھُن۔

ژھبٹھ:- (ن/م۔مؤل: ژھبٹ <پرٛاکرت: سٹّھا <س: شِشٹہٕ) ا۔ سُہ کھیٚن یُس پتھ کُن موٗژتھ تراون لایق آسہِ۔ ۲۔ سُہ گاسہٕ یُس چارواے کھبتھ چیتھ پتھ کُن ترٛاوان۔

ژھیٚٹہٕ پھوٗل:- بَتہٕ بیتر کھبتھ چتھ بانس منٛز پتھ کُن روزِیا تھر پییہِ۔

ژھیٚٹہٕ تُل:- سو گاسہٕ ہَن یوسہٕ چارووے کھبتھ پتھ کُن ترٛاوِ۔

ژھبٹھ روزٕنی:- بانس بیتر پرٛوٗن بتہٕ بیتر لوررزُن۔ بانہٕ چھلتھ تہٕ پتہٕ تتھ پرانی پھٔلی لاری آسنی۔

ژھبٹھ کرٕنی:- یُہ گژھتھ گاسہٕ پھکی کرُن۔ (چارواین ہُند)۔ گاسس گیُن کرُن۔

ژھبدُن:- (ن۔مؤل: ژھبدُن <س: چھدنہٕ) پَش۔ دَلو۔ نلووٹ۔ ژھبے۔ ڈُرن۔

ژھبدُن کرُن:- پَش کرن۔ نلووٹ دیُن۔ روٗدِ بیتر نشہٕ بچاونہٕ خاطر کینژھا پیٹھہٕ تھوٗن یا ترٛاوُن۔

ژھبدنس روزُن:- تتھ جایہِ روزُن یوتَن روٗد یا وُتھ بیتر وَسہِ نہٕ۔ سایس روزُن۔ (کانْسہِ) زیر سایہٕ روزُن۔

ژھىن:- (ن۔مؤل: ژھىن <س: چھِنہٕ)۔ ا۔ ٹکھ۔ ۲۔ بیٚوٗن بیٚوٗن گژھنچ یا آسنچ حالتھ۔ منٛز نہٕ واٹھ آسُن۔ ۳۔ دوٗر بر۔ پھاس۔ نِفاق۔ ۴۔ بَنہٕ۔ حد۔ سوے جاے ییتین اکھ علاقہٕ موکلان تہٕ دوٚیم علاقہٕ شوٗروٗ آسہِ گژھان۔ ۵۔ ٹکھ۔ اُتھر۔ ۶۔ ژھِد۔ روٹ۔ ٹُھہراو۔ م: روٗدس ژھىن گژھُن۔

ژھىن دیُن:- ا۔ ٹکُن۔ ٹکرُن۔ ٹکھ دیُن۔ ۲۔ دوٗر بر پاوُن۔ پھاس ترٛاوُن۔ نِفاق کرن۔ ۳۔ رَٹہٕ رَٹھ کرٕنی۔ ہر ہندی ژٕری الگ کرٕنی۔

ژھىن کرُن:- دوٗر بر پاوُن، پھاس ترٛاوُن۔

نفاق پأدٕ کرُن۔

ژھبن گرِتھ دیُن :-ا۔ژٕٹھ ژٕٹھ کرناوٕنی۔ پھاس ترٛاوُن۔٢۔رٕٹہٕ رٕٹھ بیترِ گرِتھ ہُر بیہناوٕنی۔

ژھبن گژھن :-ا۔دوٗر ربر پیوٗن۔نفاق ووتھُن۔ ٢۔روٹ گژھن۔ٹھُہر او گژھن۔ژِھد گژھن۔

ژھبن لگُن :-دوٗر ربر پیوٗن۔نفاق ووتھُن۔

ژھبنہٕ :-(<س:چھِنَنہ)۔علاحِدٕ۔بیوٗن۔الگ۔دوٗر۔

ژھبنہٕ پتھر :-تھُکتھ لوٗستھ پتھر پیٚچ حالتھ۔

ژھبنہٕ پتھر گژھنی :-سخ تھُکتھ لوٗستھ پیوٗن۔یُتھ نہٕ ہیٚتھ ہیکی زِ۔

ژھبنہٕ پٔن :-زٕٹھ داو ییٚمہٕ ستی کرٛال ژرٛیچہٕ پیٹھ بانہٕ ژٕٹان یا الگ چھُ کران۔کرٛالہٕ پٔن۔

ژھبنہٕ ژِھد اُے :-اَکھ اَکس نِشہٕ دوٗر ربر۔رٕنجش، ملالہٕ۔ژٕٹہٕ ژٕٹھ۔اوٕ یورِنہٕ کانٛہہ تولُق۔

ژھبنہٕ ژھبن :-ا۔دوٗر ربر۔نفاق۔دون دَربن نہٕ پانہٕ وأنی کانٛہہ تولُق روزُن۔٢۔لڑاُے ژُون وألِی الگ الگ کڈٕنی۔جگرس۔ژھبن (دیُن)۔ رٕٹہٕ رٕٹھ (کرٕنی)۔

ژھبنہٕ ژھبن کرٕنی :-رٕٹہٕ رٕٹھ کرٕنی۔چیٚھی مِلہٕ وَن والین منٛز اُژِھتھ تم الگ الگ کڈٕنی۔

ژھبنہٕ ژھبن گرِتھ دِنی :-دون دَربن منٛز پھاس ترٛاوُن۔دوٗر ربر پاوُن۔

ژھبنہٕ کرُن :-ژٕٹُن۔جُدا کرُن۔الگ کرُن۔

ژھبنہٕ کٹُن :-ا۔رَزِ، ہانٛکلہٕ، کوٚئی ٹیک یا لٹرک بیترِ الگ کرنہٕ آمُت لو کُٹ ٹُکرٕ۔٢۔سہٕ شُر بیترِ یُس کُنہِ قبیلہٕ منٛز کُنٔے پتھ کُن روٗ دمُت آسہٕ۔

ژھبہٕ گژھن :-ژھیٚتھ یُن۔اَلگ گژھن۔دوٗر گژھن۔جُدا اُے گژھنی۔

ژھبِز :-(م۔مؤل:ژھبز <س:چِھنٛد)۔تھٕپہٕ ورٛاُے، پھٕٹہٕ مژشرٛاکہٕ پیٚچ کھیٚنڈ۔مِ:شرٛاکہٕ پیٚچ ژھبِز۔

ژھبُن :-(ن۔مؤل: ژھبن <س: چھیدَنہ)۔ ا۔پھٔلُن۔ترٕ وَسنہٕ۔مِ: پکو ژھبُن۔٢۔چلہٕ وُن نہٕ روزُن۔مِ: پونی ژھبُن۔٣۔تھکُن۔ لوسُن۔مُش اَژُن۔مِ: ہکی ہکی ژھبُن۔ ٤۔چھوکھ لگُن۔زخم لگُن (کُنہِ تیز چیزٕ ستی)۔ ٥۔اَلگ گژھن۔ٹٔھ لگُن۔٦۔دوٗر ربر پیوٗن۔ پھاس پیوٗن۔مِ: دون ہُند اَکھ اَکس نِشہِ ژھبُن۔

ژھیٚتھ پیوٗن :-تھکنہٕ ستی ہکتھ نہٕ روزٕنی۔

ژھیٚتھ یُن :-ا۔(ورٛسہٕ بیترِ ستی) ژھبُن۔ ٢۔(پلوس بیترِ) ییٚنہٕ ٹٔھ لگُن۔چوک وَسُن۔ترٕ وَسنی۔٣۔کانٛہہ بنٛڈ، گنٛڈ یا دوٗند بیترِ پانہٕ کہٕ زورٕ ستی نیرتھ گژھن یا ژٕڈن۔

ژھبو (اَنُن) :-ا۔ژھبنہٕ کرُن۔٢۔(ورگہٕ پأٹھی) غلطی دَباوٕنی۔٣۔ہَر بیترِ ہمرٛاوٕنی۔

ژھوَرے :-ہمُن (نارُک ہر ہُند بیترِ) تھکھ گژھن۔

ژھوٗن:-(ن۔مؤل: ژھو)۔ا۔نار ژھبتہٕ گرٛھن۔ بڑیہہ وبتہٕ گرٛھنی۔۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) وٗستھ گرٛھن۔واہ سوٗتی۔

ژھبے:-(م۔مؤل: ژھبے <پراکرت، چھَیہ <ویدک س: چھَدَ)۔سُہ گاسہٕ، کرٛشم یا پیٛژ یوسہٕ مکانس بیترِ روٗدِشینہٕ نشہٕ بچاونہٕ موکھہٕ وَسہٕ وِنہٕ آیہ دِوان چھِ۔سو پیٛژ یا گاسہٕ یُس ژھبدٕ نس لگان چھُ۔

ژھیٛیہٕ پہر:-سو پہرٕ یتھ پٔشس ژھبے آسہٕ یا یوسہٕ ژھیٛیہٕ ہنزٕ ے بناونہٕ آمٕژ۔

ژھیٛیہٕ وار:-یتھ (پٔشس) ژھبے دِتھ آسہٕ۔

ژھیٛیہٕ ڈمب:-ا۔راد یتھ پٹھ سبزی بیترِ بووان چھےٚ۔۲۔سُہ زوڈ بیترِ یتھ پیٛژ بیترِ بووان آسہٕ۔

ژھیٛیہٕ ژٔر:-دانہٕ گاسک بیترِ لوو یتھ گوڈ بدٕل تیٚہر کٔنی گنڈ آسہٕ کرنہٕ آمٕت۔اَکھ ژھیٛیہٕ لوو۔

ژھیٛیہٕ ژور:-دامنہٕ پٹھ مَد وارس تام دون ژھیٛیہٕ ہَر بن منز لاگنہٕ آمٕژ ژھبے۔پٔشہٕ کین لٹھر بن منز با گچھِ جایہ دِژمٕژ ژھبے۔

ژھیٛیہٕ کان:-پیٛژ کان یا پیٛژ ٹل۔

ژھیٛیہٕ گور:-یُس گاسہٕ لاوبن ژھیٛیہٕ ژٔرِ بناونہٕ آسَن تگان۔یُس ژھبے دِنی تگان آسہٕ۔

ژھیٛیہٕ لٔر:-لسو جاے یتھ پٔشس ژھبے دِتھ آسہٕ۔

ژھیٛیہٕ ہوٗر:-سُہ زیوٗٹھ لٹر یُس داروس ستی کچو ستی بند چھُ آسان تہٕ یتھ پٹھ برٛن گنڈنہٕ چھُ یوان تہٕ ژھبے چھےٚ دِنہٕ یوان۔

ژھبے اَنٛنی:-(ورگہٕ) پَردِ کرٕن۔اَٹرٕ بیترِ چھپاون۔ غلطین لیوٗب تھوٗپ کرٕن۔

ژھبے دِنی:-ا۔پٔشس بیترِ گاسہٕ ژٔرِ بناوِتھ لاگُن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) لوگٹ اَستھ قدِ کٔنی تیٛوت تھوٗ داٗسُن یتھ زِٹھس کرٛھس تل ہیٚیہٕ۔م: نِکہٕ دِیہٕ مائِلس تہٕ ژھبے۔

ژھبے کرٕنی:-ا۔گاسہٕ لاوبن ژھیٛیہٕ ژٔر بناونہٕ۔ ۲۔کُنہٕ تہ تھ چیزس یُس نٔرس آسہٕ روٗدِ بیترِ نشہٕ بچاونہٕ موکھہٕ وُرٕن کرٕن یا ژھبے لاگنی۔۳۔ (ورگہٕ پاٹھی) پرٕدِ کرٕن۔ کانٛسہٕ ہندِس گرٛی مِتس اَٹرس لیوٗب تھوٗپ کرٕن۔

ژھیٚنی:-(ن۔مؤل: ژِھن <س: چھیدنہٕ) داتوٗ پوٗن ییٚمہٕ ستی داتھ ژٹنہٕ ییہٕ۔

ژھیٛوٗل:-اَکھ شُری گنٛڈن۔وُچھو "ژِھہل"

ژھیٛوٗژٔھ:-(ن۔مؤل: ژھیٛژھ <پنجابی: سِنسی) گٔلہٕ فقیرن ہنٛز اکھ ذاتھ۔سِنٛسی۔

ژھیوٗٹ:-(ن۔مؤل: ژھیٛٹ <س: نِشٹ)۔ ا۔تہٕ یہٕ کھبتھ چتھ پتھ گن موژِ۔۲۔یتھ کانٛسہٕ ہُند اُس لوٗ گمت آسہٕ۔۳۔ییہٕ نہٕ شرٛ وُژ آسہٕ۔ ناپاکھ۔موکُر۔

ژھیٹ خور:-ا۔یُس ژھیوٗٹ کھبنس ہاٗل آسہٕ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) یُس لوکہٕ ہندِس پھٔلس

ڈلس پیٹھ پلان آسہِ یا پلیوُمت آسہِ۔

ژھێٹ کھاو:- وُچھو "ژھێٹ خور" (پامہِ پۆشکی تہٕ وَنہٕ یوان)۔

ژھێٹ واں ڈُل:- سُہ ڈُل یتھ منز ژھێٹ ووٚنی سۆمبراونہٕ ییہِ۔

ژھێٹ ووٚنی:- استیمال کرنہٕ پتہٕ ترٛاونس لایق پوٚنی۔ سُہ پوٚنی یتھ منز اتھ بیترِ چھلنہٕ آسن آمتی۔ سُہ پوٚنی یُس چَنَس لگہِ نہٕ۔

ژھێٹ ووٚنی ژھنُن:- کانہہ رُت چیز خراب کٔرتھ ژھنُن۔ تیار سپد ہمٕژ کامہِ پھیش دیُن۔ کٔرتھ کرٛاوِتھ مُجرا نہٕ دیُن یا دِوناوُن۔

ژھێٹ یار:- ۱۔ کانہہ سُہ چیز یُس صاف آسہِ ہے ناپاکھ یا گنٛد کرُن ژھێٹرُن۔ ۲۔ گنہِ پاک پوٚوِتر جایہِ کانہہ ژھێچر کرُن۔

ژھێٹ یٲری:- وُچھو "ژھێٹ یار"۔

ژھێٹ یار(ی) کرٕنی:- کینہہ تیتھ کرُن یہ کرُن پزِ ہے نہٕ۔ گنہِ پوٚوِتر جایہِ کانہہ خراب حرکتھ کرٕنی۔

ژھێٹ یار(ی) گژھنی:- (گنہِ پوٚوِتر جایہِ یا ہُنس بیترِ پیٹھ) دِہم ہُند نہٕ روزُن۔ صاف تہٕ پاک نہٕ روزُن۔ کینہہ تیتھ کرُن یہ کرُن پزِ ہے نہٕ۔ ناپاکی گژھنی۔

ژھێٹ یور:- ۱۔ یُس ناپاکھ چیز کھوان آسہِ یُس ژھێچر کران آسہِ۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) اَپہٕ زیوٗر۔

ژھیوٗٹ ہے کھیٚز میٹھ کہ طمہا:- تہٕ دِپتھ گوکانٛسہِ پتہٕ پتے وَق راوٕرِتھ زِ تتھ منز گژھ کینہہ فایدٕ آسُن۔

ژھیٚٹ سیر:- سو پھمب مال، ہیر مال یوسہ اُڈے کتنہٕ آسہِ آمٕژ۔

ژھیوٚند:- (ن۔ مٲل: ژھینٛد > س: چھند) جُملس منز یا انٛدس پیٹھ تھلُک نشانہٕ۔

ژھیٚٹراوُن۔ ژھیٚٹرُن:- (ن۔ مٲل: ژھیٚٹر > س: شِشٹہَ) ۱۔ کھیوٚن لایق نہٕ تھوٚن۔ ناپاکھ کرُن۔ برشٹھ کرُن۔ ۲۔ فاقہٕ پھٹراوُن۔ ۳۔ رژھا پیوٚنتا کھیوٚن۔ کیٚہ کھیوٚن۔ م: تھال ژھیٚٹرُن۔ ۴۔ کانٛسہِ ہنٛدِ مَرنہٕ کوچ ترٛاوِتھ ڈوکل کھیوٚن (یہِ چھ بٹن ہُند اکھ رسم) م: اُس ژھیٚٹرُن۔

ژھیوٚرن:- ۱۔ تہٕ کرُن ییمہِ ستی نار ژھیتہٕ گژھِ۔ ۲۔ ژکھ ہر بیترِ ہمنٛچ جالتھ۔

ژھیوٗرُن:- (ن۔ مٲل: ژھیوٗر) ۱۔ ژھیتہٕ کرُن۔ بڈاوُن۔ ۲۔ بیٚہناوُن۔ ہُراوُن (نیاے بیترِ)۔

## س

س:- فارسی یک پنٛداُہیم، اُردوک اُرداُہیم تہٕ کاشریُک ترٛوُہیم اَچھر۔ اَبجد حسابہٕ چھ اَتھ شیٹھ (۶۰) مول۔

سَب:- (م۔ مٲل: سَب > س: سبھا) ۱۔ سالرن ہنٛز

مجلس ۔ سال کھبنہٕ والین ہُنٛد سٔمت ۔۲۔ سبا۔
مجلس ۔۳۔ تگ ۔ لٲن ۔ م ِ: سَبہٕ بہُن ۔

سَبہٕ بہُن :- ۱۔ سَبہٕ اَندر بہُن ۔ سال کھبنہٕ باپتھ پرٛژھنہٕ یِنۍ بہُن ۔ سال کھیٚنہٕ بہُن ۔۲۔ تنٛدلہِ بہُن ۔ تگہٕ بہُن ۔ لٲنہٕ بہُن ۔

سَبہٕ رَب گرٛژھنۍ :- ۱۔ مجلسہِ اَندر کُنہٕ قسمٕچ بے رونقی یا نچالتھ گرٛژھنۍ ۔ کھاندرس بیترِ پٮ۪ٹھ کانٛہہ جگرٕ وۄتھُن ۔۲۔ خوشی تہٕ ووسہٕ درٛوسہِ اَندر ہنگتہٕ منگہٕ بم پیوٚن ۔

سَبہٕ بَتہٕ :- ۱۔ بَتہٕ یُس سَبہٕ اَندر بٲگرنہٕ ییہ ۔ سالہٕ بتہٕ ۔۲۔ بَتہٕ یُس کھاندرس بیترِ پٮ۪ٹھ ترٛامہ یا ٹاکس کیتھ اَشناون ساران چھ ۔

سَبہٕ بَل :- سو جاے یتہِ پیٚتھ سَب دِنہٕ ییہ ۔ سَب دِنٕچ جاے ۔ یتھ جایہِ سالر داوتھ کھیٚاونہٕ پَن ۔

سَب تہٕ رَب گنۍ گرٛژھنۍ :- تہٕ ڈٔیتھ گوجانس تہٕ ناکارس منٛز کانٛہہ فرق نہٕ روزِنۍ ۔ زِچھر کانٛسر نہٕ روزُن ۔

سَب تہٕ رَب ہِشی کتھا :- تہٕ ڈٔیتھ گوقدرِ تہٕ بے قدری منٛز فرق نہٕ زانٛنۍ ۔ شوٗب تہٕ بےٚ شوٗبی ہِشی زانٛنۍ ۔ جانی تہٕ خرٲبی نہٕ بوزِنۍ تگنۍ ۔

سَب دِنۍ :- سالرن بَتہٕ دِیُن ۔ پرٛژھی بیترٕ سال کھیٚاونۍ ۔ سال دِیُن ۔ سالرن سال کھیٚاونٕچ تیٲری کرٕنۍ ۔

سَب ہورٕنۍ :- سالرن بَتہٕ دِیُن ، سال کھیٚاونۍ ۔ کھاندرس بیترٕ پٮ۪ٹھ سانٛکس آتہٕ پرٛژھی داوتھ کھیٚاونۍ ۔

سَبَب :- (ن ۔ مؤ ل: سَبب > ع: سَبب ) ۔۱۔ وجہ ۔ بأیِث ۔ ہیتھ ۔۲۔ چارٕ ۔ یلاج ۔ وو پاے ۔ سٔبیل ۔ ۳۔ یأری

سَبَب ساز :- سبَب گار ۔

سبَب گار :- چارٕ کرٕن وول ۔ اتھ روٗٹ کرٕن وول ۔ پاے کرٕن وول ۔

سَبق :- (ن ۔ مؤ ل: سبق > ع: سبق ) ۔۱۔ کتابہٕ بیترٕ ہُنٛد سُہ حِصہٕ یُس اکہٕ وِز پرناونہٕ ییہ ۔۲۔ یہ کینٛژھا اکہٕ وِزِ پرناونہٕ یا ہیٚچھناونہٕ ییہ ۔ یتھ اکہٕ وِزِ تأ لیم کرنہٕ ییہ ۔ م ِ: شُری چھ سبق پران ۔ ۳۔ کانٛسہٕ ہُنٛد دوٗپ ، وَنُن ، نٔصیحتھ ۔ وو پدیش ۔ (ورگہٕ پأٹھی ) ہہن ۔ نہیب ۔ سزا ۔ م ِ: سبق دیُتُس تیُتھ زِ ژُ مرٕ روز بس یاد ۔

سبق پرُن :- ( کتابہٕ ہُنٛد یا کُنہِ مضموٗنُک کانٛہہ حِصہٕ ) ہیٚچھُن ۔ تأ لیم کرٕنۍ ۔

سبق دیٖن :- (ورگہٕ پأٹھی ) نہیب تھوٗن ۔ کُنہِ اَترِس پٮ۪ٹھ ہہن تھوٗن ۔ نٔصیحتھ کرٕنۍ ۔

سبق رٔٹُن :- (ورگہٕ ) ہہن رٔٹُن ۔ نٔصیحتھ کھیٚنۍ ۔

سبق وَنُن :- ( کتابہٕ اَندرٕ کُنہٕ حِصس ) تأ لیم وَنٕنۍ ۔ پرُن ہیٚچھناوُن ۔

سبق ہیٚوٗ ہ سبق :- یتھ سبق وَنو ۔ تتھ سزا ۔

سبقس گرٛژھُن :- پرٕنہٕ باپتھ ژلٹہٕ ہال گرٛژھن ۔

تائیم پرِنہٕ گرٛٮ۪ھن۔

سَبا:-(م۔مؤل:سَبا<س:سَبھا) مجلس۔سَب۔خاص گرِتھ سو مجلس ییٚتہِ کانٛہہ مُسلہٕ طے کرنہٕ ییہِ۔

سَباپَتی:-(ن۔مؤل:سَباپَتہِ<س:سَبھاپتہ) گٕنہٕ مجلسہٕ ہُنٛد زیٚٹھ صَدر۔

سَبز:-(مؤل:سبز<ف:سَبز)۔ا۔اکہٕ رَنٛگُک ناو۔ نیٖچہٕ رَنٛگ۔گاسہٕ رَنٛگ۔۲۔(ورگہٕ) اَڑٕ پوٚپ موٚ بیتر۔خام۔کوٚچ۔۳۔تاز سو سَبزی بیترِ یوسہٕ نہٕ ہوٚچھ آسہِ۔

سبز باغ ہاوُنی:-ا۔لاچ دِتھ پھساوُن۔لاچ دِتھ ووٚٹہٕ اَنُن۔مُ:شاٹھٕ تارَکھ ہاوُنی۔۲۔فَنٛد کرُن۔ تارُنی۔ڈٕھلرُن۔

سَبز پٔری:-ا۔خوش پوٚونی،خوبصورتھ زنانہٕ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) شراب۔

سبز پوش:-ا۔جوان یُس پھٹہٕ وٕنی دأر آسہِ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) پرہیزگار۔

سبز چاے:-چایہِ ہُنٛد اکھ قسم۔سبز چاے یہِ اُس لداخہٕ کِنی یِوان۔

سبز قدم:-پھیٚشِل۔منحوس۔نوٚحوٚستہِ لد۔بدبخت۔ مُ:چھوٚت پٔڈُر۔

سَب آرڈِنیٹ۔(اَنگ:سب آرڈِنیٹ۔(Subordinate) ماتہٕ حتھ۔

سَب آفِس:-(اَنگ:سَب آفِس Sub office)

لو کٕٹ دفتر یُس کُنہِ بڈِس دفترس ماتحت کأم کار چلاوان آسہِ۔

سَب اِنسپکٹر:-(اَنگ:سَب اِنسپکٹر۔Sub inspector) پُلسس بیترِ اَندراکھ عوٚہدٕ۔تھاونہٕ دار۔

سَببہٕ:-(ع۔سبب)۔موکھ۔پٔژھی۔باپتھ۔خاطرٕ۔

سبجکٹ:-(ن۔مؤل: سبجکٹ <اَنگ : سبجکٹ Subject) مضمون۔

سَبزی:-(م۔مؤل:سبزی<ف:سبزی)۔ا۔ترکأری۔ ۲۔نیٖج۔نیٖچر۔دٕژمُن۔

سبزی فروش:-ہاکھ پالکھ بیترِ کِنَن وول۔داندُر۔

سَبز:-(ن۔مؤل:سبز<ف:سبز)۔ا۔کھسہٕ وُن۔ ۲۔گوردأرِس ہیٚوٚہ اَکھ موٚ۔۳۔زمرُد۔سبز رَنٛگُک اَکھ لال۔۴۔اَکہٕ قِسمُک کنہٕ دوٗر۔

سبزِ زار:-یتھ جایہِ پرٛتھ طرفہٕ دٕژمُن تہٕ گٕلی گٔژٕ آسَن۔

سبقتھ:-(م۔مؤل: سَبقت <ع: سبقۃ) کانٛسہِ بروٚنٛہہ نیرُن۔بروٚنٛٹھی گرٛٮ۪ھن۔گوڈٕ اَنوار۔

سَب مَرین:-(ن۔مؤل:سَب مَرین<اَنگ : سَب مرین Submarine) ڈُنٛگل جہاز۔آبہٕ تٕلی پکن وول اَکہٕ قِسمُک سمندری جہاز۔

سَبوٗن سابے:-سارِنی کُیت سوو۔یہِ عام لوٗکن ہِنٛدِ فأیدِ باپتھ آسہِ۔یہِ عام لوٗکن ہِنزِ آسائیشہٕ باپتھ آسہِ۔یہِ لوٗکن کُیت ہیوٚت یا جان آسہِ۔

سَپداوُن:-(ن۔مؤل:سَپداو دوٚچھو سَپدُن)۔ا۔بناوُن۔

مُشکِل کام اَنٛد واتہٕ ناوٕنۍ۔۲۔تیار کرُن۔۳۔ٹھٕ راوُن۔۴۔موکلاوُن۔اَنٛد واتناوُن۔

سَپدُن:۔(ن۔مؤل:سَپد <س:سمپد)۔ا۔بَنُن۔کَرِتھ یا بِنٛتھ ہیکُن۔کرنہٕ یُن۔تیار گژھُن۔۲۔اَنٛدُن۔انجام واتُن۔۳۔گژھُن کانٛہہ واقعہٕ بیترِ۔۴۔گَدرُن۔بِنٛتھ یُن۔۵۔(کام کَرِتھ)موکلُن۔

سَپُنُن:۔وُچھِو "سپدُن"

سَپھَل:۔(مؤل:سَپھَل <س:سَپھَلہ)۔ا۔کامیاب سبد۔یَتھ جان نتیجہٕ نیرِ۔یَتھ جان فائیدٕ یِیہٕ۔

سَپھَل گژھُن:۔کامیاب سپدُن۔سبدَتھ گژھُنۍ۔جان نتیجہٕ نیرُن۔

سَپھار:۔(ن۔مؤل:سَپھار <س:سَپھار۔سَپھرکہ)۔پھالاو۔بڈرُن۔ہُربر۔

سَتتھ:۔(مؤل:ستت <س:سَپتہٕ)شیٹھ تہٕ داہ۔سَتھ ڈٔہ۔ترٕہہِ کم ہَتھ۔

سَتَم:۔(م۔مؤل:سَتَم)پراکرت:سَتتمی <س:سپتمی) پچھُک سَتُیم دوہ،سَتُیم تاریخ۔

سَتَم کرٕنۍ:۔(ہزلہٕ) کمال کرُن۔طے کرُن۔

ستار:۔(ن۔مؤل:ستار <ع:ستار)۔سَتر کرن وول۔عَیبَن پرٕپۆشی کرن وول۔خودایہٕ سُنٛد اکھ صِفَتی ناو۔

سَتارُالعیوب:۔عَیبَن بَڈ کھوتہٕ بوٗڈ پردٕ کرن وول۔خودایہٕ سُنٛد اکھ صفَتی ناو۔تہٕ ڈٕپتھ گوخودا ے۔

سَتاو:۔(ن۔مؤل:سَتاو<پراکرت:سَنتاو<س:سَنتاپہٕ)

سِتَم۔بُسپر۔جیرِ۔وُبٔدُر۔یِذاہ۔تکلیف۔

ستاوتُلُن:۔تنگ کرُن۔جیرِ اَنُن (کانٛسہِ)عاجز اَنُن۔گیوٗرتُلُن۔

سَتاولَگُن:۔جیرِ ووتھُن۔رٕنہٕ یُن۔سختی پِنہٕ کنٛی وُبٔدُر ہیوٗہ ووتھُن۔تنگ یُن۔

ستاویُن:۔جیرِ یُن۔رٕنہٕ یُن۔بُسپر یُن۔

سَتاوُن:۔(ن۔مؤل:ستاو<س:سَنتاپنہٕ)تنگ کرُن۔رٕنہٕ اَنُن۔جیرِ تُلُن۔یِذاہ دیُن۔تکلیف واتناوُن۔

سَتہ ا:۔سَدٕ۔تازٕ۔حال حالے۔

سَتہ ۲:۔وُچھِو "سَتھ ۲" لفظس تل۔

سَتہٕ ترٕہ:۔وُچھِو "سَتھ ۲" لفظس تل۔

سَتہٕ تاجی:۔وُچھِو "سَتھ ۲" لفظس تل۔

سَتر:۔(ن۔مؤل:سَتر<ع:سَتر)۔وُرُن(عَیبَن بیترِ)۔۲۔شَرمہٕ ہنٛز جایہٕ پردٕ۔۳۔پردٕپۆشی۔۴۔حیا۔شَرم۔

سَتر پۆشی:۔ا۔سَتر تھوٗن۔پردٕ کرُن۔۲۔(غرٕ ہی موکھ) تیتی یاُتی پلو یمو ستی انسان شَرمہٕ ہنٛز جایہٕ پردٕ ہیکہِ کَرِتھ۔۳۔شوٗب شرم رَچھُنۍ۔

سَتر پوش:۔سُہ پلو یمہٕ ستی سَتر کَری ز۔

سَتر کرُن:۔ا۔پردٕ کرُن۔۲۔(ورگہ عَیبَن وُرُن ترٕاوُن۔

سَتَرَس بِہُن:۔(زَنہٕ ہُنٛد) ووہ پرٕ مَردَن ہنٛز نظرِ ڈٕلِتھ روزُن۔پردَس تل روزُن۔

سَترِ عورات:- وُچھو "سَترِ ووراتھ"۔

سَترِ ووراتھ:- پردٕ پوٚشی۔

سَترِ ووراتھ:- ۱۔ حاجتھ روأیی باپتھ زنانہٕ۔
۲۔ (ورگہٕ) نبتھ بُتھِ نٔرس وُلیٖن۔

سَترِ واجینٛی:- ۱۔ سوٕ یوٚس سَترس بہتھ آسہِ۔ پردٕ نشین۔

سَتہٕ راتھ:- وُچھِو "سَتھ ۲"، لفظس تل۔

سَتہٕ ریٚش:- وُچھو "سَتھ ۲"، لفظس تل۔

سَتہٕ سَتتھ:- وُچھِو "سَتھ ۲"، لفظس تل۔

سَتہٕ شیٖتھ:- وُچھِو "سَتھ ۲"، لفظس تل۔

سَتکہٕ گاسہٕ:- (ن۔ مؤل: سَتکہٕ گاس < س: سِکتہ + گھاسہ) اَکھ وُسنٛ گاسہٕ ذاتھ۔

سَتہٕ نمتھ:- وُچھو "سَتھ ۲"، لفظس تل۔

سَتہٕ وَنٛزاہ:- وُچھِو "سَتھ ۲"، لفظس تل۔

سَتوٚن:- اَکھ گاسہٕ ذاتھ، اَتھ چھِ وُتھر گول تہٕ پوش وونٛزٕلی آسان۔

سَتہٕ ہأٹھ:- وُچھو "سَتھ ۲"، لفظس تل۔

سَتُت، سَتہٕ تُت:- (ن۔ مؤل: سَتُت < ؟س: سَتہٕ + تُت) زٕ ہٹھ توٚنتھ تہٕ پھوٚنگ گرِتھ اَکھ جاناوار۔

سَتِتی ہنٛز دِگ زالہِ ہمہٕ سِنہِ ہُنٛدٕ پان:- تہٕ دُ ہتھ گوڈٕ ٹاکی مہ ہنٛز سَختی زالہِ سُے یَس سَختی والہٕ۔

سَتوٕ بہار:- رازماہ چالہِ ہمہٕ گرِتھ اَکھ وُسنٛ گاسہٕ ذاتھ۔

سَتوٕ گون:- (مؤل: سَتوٕ گون < س: سَتوٕ گُنہٕ) سُہ وَصف یِمہٕ سَتی کانٛہہ چیز جان مانٛنہٕ یِیہٕ۔ جان

تہٕ شوٚژ آسنُک صِفتھ۔

سَتوٕ وُہ:- وُچھو "سَتھ ۲"، لفظس تل۔

سَترِ وَتی:- اَکھ ناکھٹنگہٕ ذاتھ یتھ سبٹھاہ رس چھُ آسان۔

سَتکار:- (ن۔ مؤل: سَتکار < س: سَتکار) ۱۔ آدر۔ یزتھ۔ مان۔ مِ: آدر سَتکار۔ ۲۔ پزٕٹھی لاز۔ میٖہمان نوأزی۔ پزٕٹھس بیترِ واتٕن۔

سَتیا:- (م۔ مؤل: سَتیا < س: سَتتا) ۔ ۱۔ دِوتھ۔ ۲۔ پزٕچ ہیکتھ۔

سَتیا ناس:- (ن۔ مؤل: سَتیاناس < س: سَتا/سَتوٕ + ناشہ) تبأہی۔ وأرأنی۔ خرأبی۔ پھٕٹنٛ پھاک۔

سَتیاناس کرُن:- تباہ تہٕ بُرباد کرُن۔ ڈاکھ پھرُن۔ مؤلہٕ موٗنٛجے ختم کرُن۔

سَتیاناس گژھُن:- تباہ تہٕ بُرباد گژھُن۔ ڈاکھ گژھُن۔ مؤلہٕ موٗنٛجے ختم گژھُن۔

سَتیاناس ووٕتھُن:- خرأبی گژھنٛ۔ اخلاقہٕ یا عقلہِ بیترِ زٕنگی نا گژھُن۔ عقلہِ ناش سپدُن۔

سَتیِہ:- ہ (< س: سَتیہ)۔

سَتیِہ دیٖو:- (ن۔ مؤل: سَتیِہ دیٖو < س: سَتیہ دیو)۔ پرٕزیُس دَے چھُ۔ ہیٚنٛد بن ہُنٛد سُہ دوہ یِیلہِ سَتیِہ نارایِنہٕ ہنٛز پوٗزا کران چھِ۔

سَتیِہٕ رٕپھ:- (ن۔ مؤل: سَتیِہٕ رٕپ < س: سَتیہٕ + روٗپہٕ) پزٕ شکل۔ حق۔

سَتیِہٕ نارایِن:- (ن۔ مؤل: سَتیِہ نارایَن < س: سَتیہٕ +

رؤپہ)۔ پزٕریُس نارایَن چھُ، وَے بہ چھُ سَتیہِ دیو۔

سَتیہِ وآدُی:-<س: سَتیہ وادی) پزٕی یور۔ یُس پزٕس پیٹھ آسہِ۔ پزٕتھ پالَن وول۔

سَتیہِ یوگ:-<س: سَتیہ یگہٕ)۔ ژؤرَ دیو گو اُندر گودنیُک یوگ۔ سُہ سمے یتھ منز ساری پزٕس تہٕ دَرمَس پیٹھ آسَن۔

سَتھ ا:-(ن۔ مؤل: سَت <س: سَت)۔ ا۔ پوٗز۔ پزٕر۔ صداقتھ۔ ۲۔ جان۔ رُت۔ نیکھ۔ م: سَتھ زَن۔ سَتھ وَچَن۔

سَتَس پیٹھ روزُن:-پزٕس پیٹھ پکُن۔ پزٕچ وَتھ نہٕ ترٛاوٕنی۔ ۲۔ وادٕ پوٗر کرُن۔

سَتہٕ کَنی:-پزٕی کَنی۔ یہ پزٕر آسہِ۔

سَتوسَتھ:-پزٕ پوٗز۔ پوٗزے پوٗز۔ یتھ نہٕ اَکھ رَژھ تہٕ کھوچَر یا اَپزٕ آسہِ۔

سَت سِری اَکال:-سکھن ہُنٛد اُلی واکھ۔

سَتھ پرٕبَتھ:-(ن۔ مؤل: سَتھ پربت) ہارِ پربتُک اَکھ ناو۔

سَتھ پورٕش:-رُت انسان۔ نیکھ ۂستی۔ مہاتما۔

سَتھ زَن:-رُت انسان۔ نیکھ ۂستی۔

سَتھ ژِتھ آنَند:-(<س: سَت چِت آنند)۔ خودایہٕ سنٛدی ترٛے ظہوٗر۔ وۄجوٗد، آگہی تہٕ سوٗرٕ ۔

سَتھ سَد اِشو:-(<س: سَت+سَد اشو) شو سُنٛد اَکھ ناو۔

سَتھ سَما گم:-(<س: سَت سَما گر)۔ رِتین لۄکن ہنٛز صوحبتھ۔ جان لۄکن ستی ووٚتھن بِہُن۔

سَتھ سَنگ:-(ن۔ مؤل: سَتھ سَنگ <س: سَت سَنگہٕ) جان اِنسانن ستی ووٚتھن بِہُن۔ رِتین ہنٛز صوحبتھ۔

سَتھ سو باو:-(ن۔ مؤل: سَتھ سو باو <س: سَت سؤبھاو) رُت سو باو۔ جان خصلتھ۔

سَتھ گور:-(ن۔ مؤل: سَتھ گور <س: سَد گُر)۔ ا۔ اصلی گور۔ ۲۔ دَے۔

سَتھ وَچَن:-بیٚہتر (جناب)۔ اِدٕ کیاہ لبیک۔

سَتھ ۲-(مؤل: سَت <پرٛاکرت: سَتہٕ <س: سپتہٕ) شےٚ تہٕ اَکھ۔ ترٛیٚیہ کم داہ۔

سَتن پرٕ دَن تل:-تتھ یوتَن نہٕ سَہل سَہل کانٛہہ وآتِتھ ہیکہِ۔ ژؤرِ کھٔٹِتھ۔

سَتن پپر بن خبر ہیٚنٛز:-(ورگہ) سُہ ووہِ ووہو کرٕنی یا لبکہ فاش پرُن۔ بُرگن پیٹھ واتُن (لبکن)۔

سَتن سیٚنٛدرن تل:-وُچھو "سَتن پرٕ دَن تل"

سَتن یارٕ بَلَن پھِر وِتھ ترٛیشہِ ہوٚتے اَنُن:-تہٕ دِیتھ گو اُنٛہِ تھۄوِتھ تہٕ نَم ژَم گالِتھ تہٕ نہٕ کانٛہہ فأیِد واتناوُن۔ بگو اُنٛہِ تھوٚونی تہٕ زٕوٚژِ ناوُن۔

سَتہٕ:-ا۔ سَتن ہُنٛد۔ ۲۔ شُچہِ پتُک تاسہٕ پوٗٹ۔

سَتہٕ پُترٕی:-(<س: سپہٕ+ پوترٕ) سَتھ پپر۔ سَتن پپر بن تام اَولاد۔

سَتہٕ پوٗدٕ تہٕ ہَتہٕ پوٗدٕ وَنُن:-پتِہ مِس برٕوٗنٛٹھی مِس خبر ہیٚنٛز۔

سَتہٕ ترٛہ:-(مؤل: سَتہٕ ترٛہ <س: سپتہ ترِم شت)۔

ترٛہتہٕ سَتھ۔ ترٛےدٔہ تہٕ سَتھ۔

سَتہٕ تاًجی:۔ (مؤل: سَتہٕ تاجِ < س: سپتہ چتوارِم شَت) ترٛتہٕ ژِہہ تہٕ سَتھ۔ ژورٕ دٔہ تہٕ سَتھ۔

سَتہٕ ٹاس، سَٹاس:۔ (ن۔ مؤل: سَتہٕ ٹاس < پرٛاکرت۔ سَتہٕ + ٹاس آوازِ پٹھ) ۔۱۔ آتَش بازِ ہُند اَکھ قسم، اَتھ چھِ ترٛاوُن وِزِ واریاہ ٹاس نیران۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) شوشہٕ۔

سَتہٕ ٹوٗپل:۔ (ورگہٕ) زوٗنہ۔

سترٛاتھ:۔ (ن۔ مؤل: سَترات < پرٛاکرت: سَتہٕ + رات < س: سُپتہٕ/سَپتہ + راترِ) ۔۱۔ کھانٛدر سپدنہٕ پتھ سَتھ راًژیم مہرٛینۍ واًرکۍ وِبران چھےٚ۔ ۲۔ مہرٛینہٕ ہُند پھِر دوہ۔ ۳۔ پانہٕ بیترِ یم مہرٛینہٕ کھانٛدرس پتھ دِوان چھِ۔

سترٛاتھ کرٛنۍ:۔ سَترٛ اُژ ہُند رسم پالُن۔

سَتہٕ راًژ بوگ:۔ توحہٕ بیترِ یُس سَتہٕ راًژ کیٚت مہرازس ہوورٕ دوز سوزان چھُ۔

سَتہٕ راًژ پھوٗت:۔ صونٛد ؤق بیترِ یتھ اَندر سَتہٕ راًژ دوہ دِنہٕ آمُت توحہٕ بیترِ تھوٚنہٕ ییہ۔

سَتہٕ راًژ مَہرازٕ:۔ (ورگہٕ) مہرازٕ یُس وُنہٕ گوٚ تام دۄہ ہے کھانٛدرس گأمتۍ آسَن۔ تازٕ مَہرازٕ۔

سَتہٕ راًژ مہرٛینۍ:۔ ۱۔ مہرٛینۍ یوسہٕ سَتہٕ راًژ آموٗ آسہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) تازٕ مہرٛینۍ۔ ۳۔ (ہزلہٕ پأٹھی) تَس تہٕ وَنان یوسہٕ چھُلتھ چھوٚکتھ نیران آسہٕ۔

سَتہٕ ریوٚت:۔ ۱۔ یُس سَتی ریٚتی زیوٚ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کمزور۔ نِیگ۔ لاغر۔ توٗنوٗکھ۔

سَتہٕ ریوٚش:۔ پاکباز ہستی۔ تھدِ پایک ؤلی۔

سَتہٕ ریوٚش تَپہٕ والُن:۔ ترغیٖب دِتھ کانٛہہ پاکباز ہستی وَتہٕ ڈالٕنۍ۔

سَتہٕ ریٚش:۔ (ن۔ مؤل: سَتہٕ ریٚش < پرٛاکرت: سَتہٕ < س: سپتہ + س: رِشہِ) ۔۱۔ اَسمانس اَندر سَتَن تارکن ہنٛز اَکھ خاص ترٛومبر یہندۍ کنۍ قُطبِ شمالُک تارُک وَنہٕ یِوان چھُ۔ ۲۔ ریٚش سِلسِلکۍ سَتھ ریٚش یِمو منٛز شیٚتیم ہُندٕ ریوٚش اوس۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) تھدِ پایکۍ بزرگ۔

سَتہٕ زوٚنگ:۔ اَکھ کیمیٲوۍ ذاتھ۔

سَتہٕ زوٗل:۔ یُس نہٕ اُکس کتھِ پتھ روزِ۔

سَتہٕ سَتھ:۔ (مؤل: سَتہٕ سَتت < سپتہ سپتتِہ) سَتتھ تہٕ سَتھ۔ سَتھ دٔہ تہٕ سَتھ۔

سَتہٕ سوس:۔ (ن۔ مؤل: سَتہٕ ساس < پرٛاکرت: سَتہٕ < س + سیٖہہ) ۔۱۔ کھٔین بیترِ یُس واریاہن چیزن کنۍ کھنٛورٕ رٔہش گرٛتھ بناونہٕ آسہٕ آمُت۔ ۲۔ واریاہن اَجزاہن ہُند میٖل۔ ۳۔ رنٛگا رنٛگی۔

سَتہٕ شیٚتھ:۔ (مؤل: سَتہٕ شیت < س: سپتہ اشیتہ) شیٚتھ تہٕ سَتھ۔ اَٹھ دٔہ تہٕ سَتھ۔

سَتہٕ گوٗر آنگُن:۔ ۱۔ آنگُن یتھ واریاہ مکانہٕ اَندۍ اَندۍ آسَن۔ ۲۔ ہیٚتہٕ نہٕ کُنہِ کتھِ پرٛدٕ روزِ، ہیٚتہٕ داہ

وُچھنس آسَن۔

سَتہٕ موٗس:۔سَتَن رتبَن ہُنٛد (شُر بیترِ) سبٹھاہ لوکُٹ شُر۔

سَتہٕ نُمتھ:۔(مۄل: سَتہٕ نمت <س: سپتہ نوتہِ) نمتھ تہٕ سَتھ۔نوٗ ڈٕہ تہٕ سَتھ۔

سَتہٕ وَنزاہ:۔(مۄل: سَتہٕ وَنزاہ <س: سپتہ پنچاشت)۔ پنٛزاہ تہٕ سَتھ۔پانٛژ ڈٕہ تہٕ سَتھ۔

سَتہٕ ہأٹھ:۔(مۄل: سَتہٕ ہأٹھ <س: سپتہ ششٹہِ)۔ شیٹھ تہٕ سَتھ۔شےٚ ڈٕہ تہٕ سَتھ۔

سَتووُہ:۔(مۄل: سَتووُہ <س: سپتہ وِمشتہِ) وُہ تہٕ سَتھ۔زٕ ڈٕہ تہٕ سَتھ۔

سَتھ سِنٛگار:۔(ن۔مۄل: سَتھ سِنٛگار <س: سپتہ + شرِنگار) رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ پأراو۔سجاوَٹھ۔

سَتُم پَتیم یاد پاوُن:۔یہِ کینٛہہ پتھ کُن کرنہٕ آمُت آسہِ تمیُک پۆر پأٹھی آنٛچ ہوُرن۔قِصاص ہیوٚن۔

سَتھ ۳:۔(م۔مۄل: سَتھ <س: سَتا)۔تسلی۔دِلاسہٕ مَدار۔کانٛسہِ پیٹھ آش، پۆژھ۔بۆروسہٕ۔کُنہِ چیزَس سبٹھاہ زیادٕ پۆژھ۔

سَتھ آسٕنۍ:۔پۆژھ آسٕنۍ۔کانٛسہِ ہُنٛد بۆروٗسہٕ آسُن۔تسلی آسُن ڈوٗکھ آسُن۔

سَتھ بَرٕنۍ:۔کانٛسہِ ہنٛز آش تھاوٕنۍ۔

سَتھ پوٚشٕنۍ:۔ووٚمید قائیم روزٕنۍ۔آش نہٕ ژھوٚکٕنۍ۔

سَتھ سورٕنۍ:۔آش نہٕ روزٕنۍ۔ناووٚمید گژھُن۔ڈٔکھنہٕ روزُن۔

سَتھ کرٕنۍ:۔کانٛسہِ دِل تَسلأہی کرٕنۍ۔تَسلا دیُن۔دِل کرُن۔

سَتھ گژھٕنۍ:۔دِلس تسلا ہیوٚہ گژھُن۔ووٚمید ہش پأدٕ گژھٕنۍ۔

سَتھ ۴:۔جوہَر۔گوٗج۔

سَٹہٕ:۔(ن۔مۄل: سَٹ <ہ: سَٹا)۔ا۔اُٹھی۔۲۔کُنی کتھ (یوسہٕ ژۆر پأٹھی کرنہٕ ییہ)۔کُنےٚ فأصلہٕ (یُس ژۆر پأٹھی کرنہٕ ییہ)۔۳۔اُٹ۔

سَٹہٕ کرُن:۔ا۔اُٹھی کرٕنۍ۔۲۔(ژۆر پأٹھی) کُنی کتھ کرٕنۍ۔ژۆر پأٹھی پانہٕ وأنۍ کانٛہہ فأصلہٕ کرُن۔

سَٹہٕ وَٹہٕ:۔ژۆر پأٹھی کوٗرمُت پانہٕ وأنۍ کانٛہہ فأصلہٕ۔اُٹ۔سَزٕوار۔

سَٹہٕ وُٹ:۔وُچھو "سَٹہٕ وَٹہٕ"

سَتیٹھہٕ:۔(<س: سپتہ + اَشٹہ) سَتھ مَر۔

سَجادٕ نشین:۔(مۄل: سَجادٕ نشین <ع: سجادۃ + ف: نشین)۔ا۔فقیرس یا پیرس بیترِ سُنٛد جانشین۔یُس کانٛسہِ بزرگہٕ سِنٛدِ مَرنہٕ پتہٕ تٔہنٛز جاے رَٹہِ۔

سَجاوَٹھ:۔(م۔مۄل: سجاوٹ <س: سَجا + وَت۔م۔ہ: سجاوٹ)۔ا۔پأراو۔سِنٛگار۔۲۔شوٗب۔شٔکل یوسہٕ پأراو کُرتھ نیرِ۔۳۔کُنہِ جاہِ زیبأیشہ باپتھ خاص طَریقس اَنٛدر چیز تھاوُن۔

سَجاوُن:۔(ن۔مۄل: سَجاد <س: سَجا) شوٗبہٕ راوُن۔پأراُتھ یا شیرِتھ لاگُن۔پأراوُن۔

سَجَن:۔(ن۔مۄل: سَج <س: سَج)۔شوٗبُن۔سَجاوَٹھ

تنۍ۔ زیٚبِن۔

سَحَر:۔(ن۔مؤل: سحر < ع: سَحر)۔ا۔سَنگر پھوٚلنچ وِز۔ مالہِ پھولہٕ وُن۔غزل ۔۲۔ کھبن بیتر یُس روزِ درجس گاش پھولنہٕ بروٚنہہ پہن کھوان چھُ۔

سَحَر پھولُن:۔سَنگر پھوٚلنۍ۔غزل پھولُن۔

سَحَر خان:۔یُس روز دَرَن سَحر کھبنہٕ باپتھ وُز ناوان چھُ۔

سَحَر کھیوٚن:۔روزِ دَر سُند گاش پھولنہٕ بروٚنہہ بَتہٕ بیتر کھیوٚن۔

سَخ، سَخت:۔(مؤل: سَخ < ف: سخت)۔ا۔دوٚر۔یہِ نہٕ سَہَل سَہَل پھٹہِ یا نرمہِ۔ مِ: سَخ ہٹ۔ سَخ زٔمین۔۲۔چیر ہنٛد۔یہِ نہٕ مُوٚرنہٕ ییہِ۔یہِ نہٕ کھولنہٕ ییہِ۔یہِ نہٕ یلہٕ ہیکہِ سپدتھ۔مِ: ٹھانہٕ چھُ سَخ۔ گنٛڈ چھُ سَخ۔۳۔ کرٛیوٚٹھ۔یہِ نہٕ سَہَل آسہِ۔ مُشکِل۔یہِ نہٕ گرٛتھ یا سمجتھ ہیکو زِ۔مِ: سَخ سوال۔ سَخ کام۔۴۔ سیٹھاہ زیادٕ۔ یُتھ۔یتھ اَنٛدر سیٹھاہ تکلیف آسہِ۔مِ: سَخ ترٛ۔۵۔ شٔتھ۔پنہٕ نِس اعتقادس پیٹھ ڈٔٹتھ۔ کٹر۔ ڈاڈٕ۔ مِ: سَخ کافر۔

سَخت جان:۔ا۔یَس نہٕ سَہَل سَہَل زُوٚ نیر۔۲۔سنگ دِل۔ظالِم۔

سَخت گیر:۔سَخ ضَبطہٕ رَبط تھوَن وول۔اوٚصولس بیتر سَختی سان پابنٛدی کرناوَن وول۔

سَخاوَتھ:۔(م۔مؤل: سَخاوَتھ < ع: سَخاوَۃ)۔ ا۔اَتھہٕ وتھ آسُن۔فیاضی۔۲۔اَتھہٕ روٚٹ

(غریبن یا موحتاجن بیتر) اِمداد۔

سَختی:۔(م۔مؤل: سَختی < ف: سَختی)۔ا۔ دِقتھ۔مُشکِل۔ ۲۔تکلیف۔۳۔ظُلم۔جبر۔ایذاہ۔۴۔بَد حالی۔ پریشانی۔

سَختی اَنٛنۍ:۔ا۔کانٛسہِ اِذاہ دیُن،تکلیف واتناوُن۔ ۲۔کانٛہہ چارُن۔چورتہٕ کرُن۔

سَختی ٹٲلنۍ:۔مُصیبتھ ٹٲلُن۔پریشانی ٹٲلنۍ۔ظُلم ژالُن۔

سَختی کرٕنۍ:۔ا۔تکلیف دیُن۔اِذاہ دیُن۔۲۔روٚٹ کرُن۔پابنٛدی لاگنۍ۔

سَختی واتنۍ،تنۍ:۔ا۔دِقتھ تنۍ۔مُشکِل دَرپیش یُن۔ ۲۔کانٛسہِ ہنٛدِ ذٔسۍ اِذاہ واتُن۔ظُلم گرٛھن۔

سَد:۔(مؤل: سَد < پراکرت: سَد < س: شَبد)۔ ا۔آواز۔لفظ۔۲۔کتھہِ ہنٛد اِشارٕ۔صدا۔

سَدا:۔(مؤل: سَدا < س: سَدا)۔ہَر ہمیشہِ، پرٛتھ ساتہٕ، ہَر وِزِ۔دوہے۔

سدابہار:۔(ن۔مؤل: سدابہار < س: سدا+ف: بہار)۔یہِ یا یُس پرٛتھ وِزِ تازٕ تہٕ سبز آسہِ۔

سداسَر وَدا:۔(مؤل: سداسَر وَدا < س: سد+سَر وَدا) ہَر ہمیشہِ۔پتہٕ وَتھ۔ژھِدٕ روٚس۔

سَداشِو:۔(ن۔مؤل: سداشِو < س: سَداشِو) شِو سُند اکھ ناو۔

سَداہ:۔(مؤل: سداہ < س: سَپتہٕ دَشہ) شُراہ تہٕ اکھ۔ داہ تہٕ سَتھ۔

سَدِ :-(مؤل: سَد < س: سَدْیہَ) حال حالے تازٕ۔ یتھ کِہے وَق گومُت آسہِ۔ م: سَدِزاو۔

سَدِ پیٛاو :- ا۔ گوڈنیُک پیٛن۔ ۲۔ سو لوسہِ یُس گوڈنیُک پیٛن آسہِ۔ ۳۔ پیٛاو یُس یونہِ کُس شُری ہِندی پُرٛھی سوزنہٕ ییٛہِ۔

سَدِ پیٛاوَل :- یُس حال حالے گوڈنیُک شُر زامُت آسہِ۔ تازٕ لوسہِ۔ کرِ پیٛنہٕ واجینٛز۔

سَد پیٛاوسوزُن/نُیٛن :- یونگ شُر زنٛس پتھ پیٛاونیٛن۔

سَدِ پیٛاے کرُن :- (یونگ) شُر زنٛس پتھ ژوچہٕ باگرِنہٕ۔

سَدِ زاو :- ا۔ شُر بیترِ یُس حال حالے زامُت آسہِ۔ ۲۔ (ہزلہٕ پأٹھی) یُس شُری لأزکرِ۔ چلُٹ۔

سدوَر :-(مؤل: سَد وَر < س: سَہ + درِڈھ)۔ یُس تکلیفہٕ یا مُصیبتہٕ وِزِدِل کرِ۔ یُس تحمٔل آسہِ۔ یُس جگر کرِ۔

سَد باو :- (ن۔ مؤل: سَد باو < س: سد بھاو) لول تہٕ یژتھ۔

سَدرَۃُ المُنتھیٰ :-(ن۔ مؤل: سَدرَۃُ المُنتھیٰ < ع: سَدرَۃُ المُنتھیٰ) سُتی مِس آسمانس پتھ اکہِ بڑیہِ کُلیُک ناو۔ ویان حضرت جبریلؑ سُند مقام چھُ یو ہے تہٕ اَمہِ ہیوٗر چھنہٕ حضرت محمدؐ صأبس ؐ سوٗاَے کانٛہہ پأغمبر کھوٗتمُت۔ عالمِ بالا ٔیک اَکھ روٗحأنی مقام۔

سَد گور :-(ن۔ مؤل: سَد گور < س: سَد گر) تھدِ پایک گور۔ باکمال مورشِد۔ پزٕ وَتہِ لاگن وول۔

سَد وِچار :- (مؤل: سَد وِچار < س: سَد وِچار)۔ رُت سوچ۔ رُت سوٗرُن۔

سَرا :-(مؤل: سَر < س: سَر)۔ ا۔ بۆڈ ناگ۔ ڈَل۔ ۲۔ آبِہ آب۔

سَر پچھُن :- پچھُن یُس سَرس اَندر روزان آسہِ۔

سَر۲ :- (ن۔ مؤل: سَر < ف: سَر)۔ ا۔ کلہٕ۔ تال۔ ۲۔ پیٹھِم حِصہٕ۔ تھر۔ ۳۔ کھٔستھ۔ تھدِ پایک۔

سَراپا :-(مؤل: سَراپا < ف: سَراپا)۔ ا۔ کلہٕ نلہٕ۔ ہیٛرِ بونہٕ۔ سورُے۔ ۲۔ (شأیری اَندر) کانٛسہِ ہِند بِن اَنگن اَنگن ہِندی تأریف۔

سَرِ بازَر :-(مؤل: سَرِ بازر < ف: سَرِ بازار) (ل۔م) منٛز بازرس۔ نَنہٕ وانہٕ۔ کھُلتھ پأٹھی نہٕ۔ عَلل اعلان۔

سَرِ دَس :- (مؤل: سِ دَس < ف: سَرِ دَست)۔ فِل حال۔ تامتھ۔

سَرِ شام :-(مؤل: سَرِ شام < ف: سَرِ شام) شام سپدُنے۔ شامس سُلی۔ ییلہِ نہٕ دُنہٕ شام گأمتس زیادٕ وَق گومُت آسہِ۔

سَرِ کوہ :-(مؤل: سَرِ کوہ < ف: سَرِ کوہ) کوہچ تال۔ ٹوپ۔ کوہچہِ تالہِ پتھ۔

سَرِ نو :-(< ف: سَرِ نو)۔ نوٚ سَر۔

سَرافراز :-(مؤل: سرافراز < ف: سرافراز) وُچھو دُسَر بُلند۔

سَرانجام(واتُن):-(ف:سَر اَنجام)۔اَنٛد واتُن۔ پۆرٕ سپدُن۔موکلُن

سَرآب:-(مؤل:سرآب ‹ف:سَر آب)سوٗ زٔمیٖن یتھ سَہَل پأٹھۍ آب وأتِتھ ہیٚکہِ۔زٔمیٖن یتھ کول بیترٕ نٔزدیکھ آسہِ۔یتھ نہٕ آب دوٗرِ پیٚٹھ اَنُن آسہِ۔م:پاے آب۔

سَر براہ:- (مؤل: سَر راہ ‹ف: سَر براہ)۔ ا۔زیٚٹھ۔مُنتظم۔اِنتظأمی۔کُنہِ مُلکُک بیترٕ زیٚٹھ۔ ۲۔سرپرست۔کأنٛسہِ یتیمس یابےٚ کٔسِس حفاظتھ یا ڈوٗکھ۔ وألی۔وُلی۔

سَربَسر:-ا۔اَنٛدٕ پیٚٹھٕ اَنٛدس تام۔سورُے۔سأرُے۔ ۲۔بلکل۔

سَر بَستہٕ:- (مؤل:سَر بَست ‹ف:سَر بَستہ)۔ ا۔بَنٛد۔ٹھانہٕ دِتھ۔یتھ وُرن گرِتھ آسہِ۔سیٚہ نہٕ نوٗن آسہِ۔۲۔ہورادنے کھولنے۔۳۔شرٕ ونٕنے۔

سَر بہٕ صحرا:-(ف:سَر بہٕ+ع:صحرا)مُتہ جامہٕ۔ مٔتیوٗمُت۔دیوانہٕ۔وأرانن پھیرن وول۔

سَر بہ کف:-(ف:سَر بہ+ع:کف)(ل۔م) یُس کلہٕ اَتھس کیٚتھ آسہِ۔یُس نہٕ پننہٕ نَس گلس کھوژِ۔زُودِنہٕ خأطرٕ تیار۔زُوتام دِنس نہٕ وایہ برُن۔کلہٕ ژوٗٹ۔

سَر بہٕ موہَر:-(ف:سَر بہ مہر)موہَر بَنٛد۔یتھ سیٖل کرنہٕ آسہِ آمٕژ۔سیٚہ نہٕ مُورنہٕ یِیہِ۔

سَر بُلنٛد:-(ف:سَر بُلنٛد)۔یِزتہٕ وول۔کُنہِ بجرٕکہِ فخرس لایق۔تھدِ پایُک۔امتیازٕ وول۔سرافراز۔

سَر بُلنٛدی:-(ف:سَر بُلندی)۔کُنہِ قسمُک ناوتہٕ وبقار۔کُنہِ بجرٕکہِ فخرس لایق آسُن۔سرافرأزی۔

سرپرست:-(مؤل:سَر پرست ‹ف:سَر پرست)سُہ یُس رٔچھِ پالہِ۔یُس اتھٕ پیٚٹھ تھوِ۔زیٚٹھ۔ بُزرگ۔

سَر پرستی:-(ف:سَر پرستی)۔رٔچھُن۔پالُن۔ نگرأنی۔اتھٕ پیٚٹھ تھاوُن۔

سَر پنٛچ:-(ف:سَر+س:پنٛچہٕ) پنچایتُک زیٚٹھ۔

سَر پوش:-(ن۔مؤل:سَر پوش ‹ف:سَر پوش)۔ ا۔ڈکنہٕ۔ٹھانہٕ۔۲۔ڈکنہٕ یُس اَنٛی مہٕ پھیٚیارنہٕ باپتھ بتہٕ لیٚجہِ پیٚٹھٕ تھوان چھِ۔اکہِ قسمُک کانٛیو بتہٕ پھیٚأرِین۔

سَر پیچ:-(مؤل:سَر پیچ ‹ف:سَر پیچ)۔ا۔سونہٕ سُنٛد یا روپہٕ سُنٛد وَس یُس دستارس پیٚٹھ لاگان چھِ۔ ۲۔رنگدار کپرٕ چھل یوسہٕ دستارس پیٚٹھٕ گنٛڈان چھِ۔۳۔لوکٹ پٔشمینہٕ ڈج یوسہٕ زنانہٕ پۆژٕ پیٚٹھ گنٛڈان چھےٚ۔

سَر تاج:-(مؤل:سَر تاج ‹ف:سَر+ع:تاج)۔ ا۔ زیٚٹھ۔ سردار۔۲۔ ڈیکہٕ ٹِکہٕ۔(ورگہٕ) خانہٕ دار۔خاوند۔

سَر چٔشمہٕ:-(ف:سَر چشمہ)۔ا۔آگُر۔یتھ جایہٕ

آب ڈُزان آسہِ۔ (ورگہٕ) کُنہِ چیزُک آگُر۔
یتھ جایہِ کانٛہہ چیز نیرِ۔

سَر دَر٘ :-درواز٘ک ہنگ۔ درواز٘ کہِ چوکاٹُک پیٹھِم گر۔

سَر دَلو، سَر دَلہِ :-<ف: سَر+س: دَلتہٕ) دیوار٘ک یا دوسہِ ہُند پیٹھُم دَلو۔ نَلہٕ ووٚٹ۔

سَر دار :- (ن۔ مؤل: سَر دار <ف: سردار)۔
ا۔ قبیلہٕ بیتر یُک زیٹھ۔ جوتھ دار۔ سَر غَنہٕ۔
۲۔ پۄر٘ اختیار٘ روول۔

سردأری :- (<ف: سرداری) زِچھر۔ سَر دار٘ سُند مرتبہٕ۔ پۄر٘ اختیار

سرزٔمین :-(م۔ مؤل: سَر زٔمین <ف: سَر زٔمین)
ا۔ زٔمین۔ بُتہٕ راتھ۔ ۲۔ مُلک۔ علاقہٕ۔

سَر زٔنِش :- (<ف: سرزنش) ووڈِ ژٔنڈ۔ کنہٕ ڈر۔ لانہٕ طانہٕ۔ لانتھ ملامتھ۔ اُڈ زاُڈ۔ ہوأری۔ ہبد اتھ۔ ہنٛچھناوُن۔

سَر سبز :- (<ف: سَر سبز) تر تاز٘۔ جلہٕ وُن۔ سبزا سبز۔ یہ نہٕ بَرگوٚمُت یا ہوٚ کھمُت آسہِ۔

سَر سان :- (ن۔ مؤ: سَر سان <ف: سَر سام)۔
ا۔ کلہٕ داد یک اکھ شدید قسم۔ اتھ اندر چھُ کلس ورم کھسان۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کھیر، ژھوکھ۔ گمنڈ۔

سَر سان آسُن :- (ورگہٕ) ژھوکھ تہٕ کھیر آسُن۔ کانٛہہ نہٕ فکرِ کھسُن۔

سَر سان دأرِتھ دیُن :- ا۔ سرسان دود کرُن۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کاڈِ بن کھسُن۔ تکبُر گژھُن۔

سَر سان کرُن :- وُچھو "سرسان دأرِتھ دیُن"۔

سَر سان کھسُن :- وُچھو "سرسان کرُن"

سرسان گژھُن :- وُچھو "سرسان کرُن"

سرسٔری :- (مؤل: سَر سٔری <ف: سَر سری <سراسری)
ا۔ پیٹھی پیٹھی۔ زأوِ جار نہٕ سُنتھ نہٕ۔ م: تِمو دِژ تتھ سَر سٔری نظراہ۔ ۲۔ کُنہِ خاص مقصدٕ باپتھ نہٕ۔ بُلی۔ یتھے۔ م: سہٕ اوس یور سَر سٔری آمُت۔

سَر سأئی :- (ورگہٕ) بُس (زنہٕ) ژھوکھ آسہِ۔ تکبُر آسہِ۔

سَر شار :- (مؤل: سرشار <ف: سرشار)۔ ا۔ ٹِھتھ۔ تال دِتھ۔ ڈٔنڈ رِتام بٔرِتھ۔ ۲۔ مست۔

سَر غنہٕ :- (<ف: سَر غنہ)۔ ژوٗرن یا غنڈن بیتر ہُند سردار۔

سَر فَراز :- (مؤل: سَر فراز <ف: سَر فراز) وُچھو "سرافراز"۔

سَر فرأزی :- (مؤل: سَر فرأزی <ف: سَر فرأزی) تھوٚد درجہٕ، مرتبہٕ۔ تھزر۔ بجر۔ اعزاز بخشنہٕ یُن۔

سَر فروش :- (مؤل: سَر فروش <ف: سَر فروش) جان باز۔ یُس کلس گنڈِ۔

سَر فروشی :- جانبازی۔

سَر کرِد :- (مؤل: سرکرد <ف: سَر کردہ)۔ زیٹھ، بوٚڈ، تھوٚد، موتمت۔ ناماوار۔ تجرُبہٕ کار۔ م: بلل دبد

تہٕ شیخ العالمؒ چھ کأشرِ زبأنؠ ہِندؠ سرکردٕ گونہٕ مات۔
سَرکش:- (مؤل: سرکش حف: سرکش) روگردان۔ بتھی پھیُر۔یَس نہٕ کأنسہِ ہُندو ہُنزٕ۔بأغی۔نافرمان۔
سَرکلہٕ:- (مؤل: سَرکل حف: سَر + کار)۔ نِکھٕک سَرغنہٕ زِیُٹھ، سردار۔
سَرکار:-(مؤل: سَرکل حف: سرکار)۔ا۔ حُکومَتھ۔ گورمنٹ۔ حأکِ مہٕ سُنٛد دفتر یا کأم کار۔ حُکومتُک محکمہٕ بیتر۔۲۔ حأکم حُکومَتھ کرَن وول۔۳۔(ہزلہٕ تہٕ یِزتہٕ تہٕ) جناب۔
سَرکارِخاص:- حضرت محمدؐ صأبُن اُکھ لقب۔
سرکانٛج:-(م۔مؤل: سرکانٛج حف: سَر + س: کانٛڈ)۔ داں ڈُکھک سہٕ ہیٚوٗل یُس گوڈنی پھولان چھُ۔
سَرکشی:- بغاوت۔
سَرکأرؠ:-(مؤل: سرکأرؠ حف: سرکاری)۔ا۔ یتھ سرکارس سٍتؠ توٗلُق آسہِ۔ حُکومت۔م: سرکأرؠ مُلأزِم۔۲۔ یہِ نہٕ کأنٛسہِ اُکی ہٕنز مِلکیتھ آسہِ۔م: سرکأرؠ زمین۔۳۔ یتھ مُتلق نہٕ کانٛہہ ذِمہٕ وأری آسہِ۔ م: یَس لگہٕ تَس لگہِ سرکأری۔
سَرکأرؠ مُلأزِم:- سہٕ مُلأزِم یُس کُنہٕ سرکأرؠ دفترس یا کارخانس بیترِ منٛز کأم کران آسہِ۔
سرکوب، سرکوپ:-(مؤل: سرکوب حف: سرکوب)۔ (ورگہٕ) گامہٕ زِیُٹھ۔ سہٕ یُس گامس اَنٛدر نیایُن فأصلہٕ تہٕ مُجرِمَن بیترِ سزادِوان آسہِ۔

سَرگرم:- (مؤل: سَرگرم حف: سرگرم) پُرجوش (کانٛہہ کأم بیترِ اَنٛد واتناونس اَنٛدر)۔ یَس کُنہِ کامہِ ہُنٛد سخ شوق آسہِ۔
سَرگردان:-(حف: سَرگردان) حأران۔ پریشان۔ تباہ حال۔ رۆبۆڈ۔ روومُت ہیٚوٗہ۔
سَرگردأنی:-(م۔مؤل: سَرگردأنؠ حف: سرگردأنی) کلہٕ گیُور۔ پَریشأنی۔ فِکرِ۔ دَربدرِی۔۲۔ گانٛگل۔
سَرگرمی:- (م حف: سرگرمی) گرم جوٗشی۔
سَرگُزشت:-(مؤل: سرگُزشت حف: سرگُزشت)۔ ا۔ گُذریومُت (حال)۔اوحال یُس باونہٕ یِیہِ۔ ۲۔ سوانح حیات۔
سَرگوٚرٕ:-(مؤل: سرگوٚرٕ حف: سرگروہ)۔ مَنٛزجہ ہُنٛد زِیُٹھ۔ سردار۔ زِیُٹھ۔ بروٚنٛہہ بروٚنٛہہ نیرن وول۔
سَرمَست:-(مؤل: سَرمَست حف: سَرمَست)۔ ا۔ مخمور۔ سرشار۔ مَس چتھ ڈۆلہٕ مُت۔
سرنامہٕ:- (ن۔مؤل: سَرنام حف: سَرنامی)۔ ا۔ گوڈُت۔ یہِ کینٛژھا مضموٗنس بیترِ گوڈٕ لیکھنہٕ یِیہِ۔۲۔ پتاہ۔ ایڈرس۔
سَرنُوشت:-(مؤل: سَرنُوشت حف: سَرنُوشت) یہِ قِسمتس آسہِ۔ ڈٔکہٕ لون۔ نصیبہٕ۔
سَرِوَر:- (مؤل: سروَر حف: سروَر)۔ا۔ سردار۔ زِیُٹھ۔۲۔ حضرت محمدؐ صأبُن اُکھ خطاب۔

۳۔مُسلمانن مَنٛز اَکھ ناو۔

سروَرق:-(مؤل: سروَرق <ف: سَر+ع: ورق) کِتابہِ بیترِ ہُنٛد پیٛٹھِم وَرُق۔

سروَرِ دُعالَم:- دۄن عالمن ہُنٛد سردار۔حضرت محمدؐ صأبُن اَکھ لقب۔

سَروَرِ کاینات:- سأری نے عالمن ہُنٛد زیٛٹھ۔ حضرتِ محمدؐ صأبُن اَکھ لَقب۔

سَرؤری:- (م۔مؤل: سرؤری <ف: سروری) زِٹھر۔سردأری۔

سَر ہنٛگ:-(ن <ف: سر+س: شنکہ/شُنکھ)۔ ا۔درواز ک ہنٛگ۔دَروازِ کہِ چوکاٹھِ پیٛٹھِم کُر۔ بَرہنٛد۔۲۔گامہٕ زیٛٹھ۔

سَرس:-(<ف: سَر)۔تھدِ پایہِ۔

سَرَل:-(مؤل: سَرَل <س: سَرل)۔سادٕ۔سَہل۔ یہِ ژٕلی فِکرِ ترِ۔آسان۔یتھ اَنٛد رنہٕ کانٛہہ دِقتھ آسہِ۔

سَرَے:-(م۔مؤل: سَرے)۔ا۔لوکُٹ قصبہٕ۔ ۲۔تجارتُک مَرکز۔دَسوٗر۔

سَراب:-(ن۔مؤل: سَراب <ع: سراب)۔ا۔چمکہٕ وِنی سکھ یتھ وُچھتھ صحراوس اَندر دۄرِ ناگک دوکھِ گژھان چھُ۔شیطان ترٛلیش۔۲۔(ورگہٕ) نظرِ ہُنٛد دوکھہٕ۔بژنتھ۔

سَراپا:-(<ف: سَراپا) وُچھو "سر ۲" لفظس تَل۔

سَرازپری:-ا۔ہیوٚربون (دۄ تھنَس ہیٚنٛس یا خاطرِ بیترِ

کرنَس مَنٛز)۔۲۔ٹھیٚ یتھ خراب گژھن۔ بیرام گژھن۔

سرائے:- (م۔مؤل: سَرائے <ف: سَرائے)۔ ا۔مُسأفر خانہٕ۔پڑاوس پتھ سو جاے۔ییٚتہِ مُسأفر خانہٕ۔پڑاوس پتھ سو جاے ییٚتہِ مُسأفر یا کاروان بیترِ کینژَس کالِس تھکھ دِیہِ۔۲۔سو جاے ییٚتہِ مُجلسہِ باپتھ أنٛدرِ پکھی لۄکھ سَمن۔م: ماتم سرائے۔

سَرِ بازَر:-(<ف: سَرِ بازار) وُچھو "سَرِ ۲" لفظس تل

سَرِ دَس:-(<ف: سَرِ دَست) وُچھو "سرِ ۲" لفظس تل

سَرِ شامے:- وُچھو "سَرِ ۲" لفظس تل۔

سَرِ:-(مؤل: سَر)۔ازمووُمت۔پرکھوومُت۔

سَرِ سپدُن:- آزماونہٕ یُن۔مُشخص گژھن۔اصلیتھ نٔنی۔

سَرِ سِکہٕ گژھن:- پۆرِ پأٹھی اَزماونہٕ یُن یا کتھ واش نیرُن۔أکِس بیٚنِس پزٕ ژھنہٕ پۆرِ پأٹھی کُنٛج زان سپدٕنی۔

سَرِ کرُن:-ا۔ ازماوُن، پرکھاوُن۔ ۲۔أکِس بیٚنِس نَش ژٕری یاف کٔرتھ کانٛسہِ متلق زان کٔرنی۔۳۔میٚون تولُن۔تاہ وُچھن۔

سَرِ کھرِ:- پزٕ ژھِ گار (گنہِ مامٕلچ یا کتھِ بیترِ ہنٛز) چُکاوُد کاو۔

سَرِ کھرِ کرُن:-ا۔اوریور پزٕ ژھِ گار کرٕنی۔ژٕری یاف کرُن۔أکِس بیٚنِس پزٕ ژھتھ کتھِ ژٕ کِس تام

واتُن ۔۲۔ چُکاوُدٕ کاو کرُن ۔ مول مشخص کرُن ۔

سَرٕ گرٕڑھن :- وُچھو "سَرٕ سپدُن" ۔

سَرٕ گی :- (م ۔ مؤل: سَرٕ گی <؟) ۔۱۔ آزمائش ۔ پرکھاو ۔ وُچھن زِ کیُتھ چھ ۔۲۔ کتھ بیترٕ ڈری یاف گرِتھ ژٔ راوٕنی زِحی چھا ۔

سَروٕ :- (ن ۔ مؤل: سَرو <ع: سَرو) کانہہ فرٕ ذأژ ہُنداکھ جنگلی کُل ، زیبأیشہِ باپتھ رُونہہ یوان ۔

سَروٕ قد :- یَس (سَروٕ کُلکی پأٹھی) سوم تہٕ شؤبہٕ دُن قد آسہِ ۔

سَروٕ آواز :-۱۔ خودرٕ دسَروٕ یتھ نہٕ تژاش ہینہٕ آسہِ آمٕژ ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) پأکیزٕ ماشوق ۔ شِلہٕ پدمأنی ۔

سَروٕ ۲:- ہ ۔ (ن ۔ مؤل: سَرو <س: سَرو) سورُے ۔ تمام ۔

سَروٕ گنیہ :- (<س: سَرو جنیہ) سورُے کینٛہہ زانٔن وول ۔ سأری ہے وأتتھ ۔ عٔلیم ۔

سَروٕ گنیتا :- (م ۔ مؤل: سوٗگنیتا <س: سَروٕ جنیا) سورُے کینٛہہ زانٕنہٕ چ حالتھ ۔ سأری ہے وأتتھ آسُن ۔ سارِی عٔلی میتھ ۔

سَروِ آدِکار :- (ن ۔ مؤل: سَروِ آدِکار <س: سَرو+ اَدھکار) سأری ہے پٹھ قو درتھ ۔ سارِنے پٹھ ہختیار ۔

سَروِ آدِکأری :- (مؤل: سَروِ آدِکأری <س: سَرو اَدھکأری) ۔ مأکلہٕ کُل ۔ قأدرِ مطلق ۔ یَس سارِنے پٹھ ہختیار آسہِ ۔ سارِنے ہنٛدٕ قضا و قدرُک مألکھ ۔

سَروِ شکھتی مان :- (ن ۔ مؤل: سَروِ شکتی مان <س: سروشکتہِ مان) ۔ قأدرِ مُطلق ۔ یَس سأری ہے پٹھ قو درتھ آسہِ ۔

سَروٕ کرٕژے :- (<س: سَرو+ کرٕژ) خألق کُل ۔ یمیٚ سورُے کوٚر یا پأدٕ کوٚر ۔

سَروٕ گتھ :- (<س: سَرو گتہٕ) بَس پرٕتھ جایہِ وأتتھ ہیکہِ ۔ حأظر تہٕ نأظر ۔

سَرٕ پھ :- (ن ۔ مؤل: سَر پھ/سَر پ <س: سَر پہٕ) ۱۔ یڈٕ وأے پکن وول اکھ رٕز ہیو ہ جاندار یُس اکثر زہریلہٕ آسان چھُ ۔ ۲۔ (ورگہٕ) سُہ اِنسان یُس بےٚ خبر پأٹھی زکھ واتناوِ ۔

سَرٕ پھ پکان ہوٚل ہوٚل / وأج وُچھتھ سیوٚد / وأج نِشہِ وأتتھ سیوٚد / وأج وِزِ سیوٚد :- تہٕ ڈٔپتھ گوپرٕتھ کانٛہہ چھُ پننہٕ نَس پوٚس خبردار ۔

سَرٕ پھس دود دین :- تہٕ ڈٔپتھ گو کانٛہہ سُہ چیز نوٚ وراوُن یمہِ ستیٚ پانہٕ ہے نوقصان واتہِ ۔ مُ: سو یہٕ سَنگ دیُن ۔

سَرٕ پھ دأری :- اکھ گبہٕ ڈزأن ۔

سَرٕ پھٕ ذاتھ :- (ورگہٕ) سُہ یُس نہٕ زکھ واتناونہٕ ورأے روزِ ۔ یُسنٛد کار پرٕتھ کأنٛسہِ یِذاہ دیُن آسہِ ۔ ٹوپُل ۔

سَرٕ پھٕ سنٛزٕ سَتھ زٕو :- تہٕ ڈٔپتھ گوأ رِکس کتھِ پٹھ

نہ روزُن۔ اُتی اَکھ کتھ تہٕ اُتی بیاکھ کتھ وَنٕنۍ۔

سَر پھ کرٛ وٚژھ:۔ سَر پھ سُنٛد مُسلہٕ یُس سَہ (خاص موٚشمَس اَندر) ترٛاوان چھُ تہٕ یتھ تلہٕ نوٚ وُمُسلہٕ آمُت چھُس آسان۔

سَر پھ گوسوٗنۍ:۔ یُس وَتہٕ وَتہٕ پھیرتھ سَر پھ تماشہٕ ہاوان آسہٕ۔ سَر پھ وول۔

سَر پھ لیوٗٹ:۔ زِ کلہٕ گٲرتھ سَرٕ پھ (دٕپان) اُمس چھُ لچھہٕ کٔرتہٕ کلہٕ آسان)۔

سَر پھہِ مالیُن:۔ سو جاے یتہِ غلبہٕ پٲٹھۍ سَر پھ آسَن۔

سَر پھہِ مأنٛتھر:۔ سَرٕ پھ رٹہٕ چ مأنٛتھر۔ مأنٛتھر یمہٕ ستۍ سَرٕ پھ بے حِس گٲرتھ رٹنہٕ یوان چھُ۔

سَر پھ وأج:۔ ۱۔ ہُد یتھ اَندر سَرٕ پھ روزان چھُ۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھۍ) خطرناک مامَلہٕ۔ م: کھٔشرِ پأجامہٕ۔

سَر پھ وول:۔ سہ یُس سَر پھ مأنٛتھرٕ ستۍ رٹان تہٕ بازرس اَنٛدر رتوٗ ہنٛد تماشہٕ ہاوان چھُ۔ سَر پھ گوسوٗنۍ۔

سَرُن:۔ (ن۔ موٗل: سَر < سَمرٕ نہٕ)۔ ۱۔ یاد آسُن۔ یاد تھوٗن۔ ۲۔ تجرُبس منٛز آسُن۔

سوٚری سوٚری پکُن:۔ سوٗنچتھ سمجتھ پکُن احتیاطہٕ سان کانٛہہ کٲم کرٕنۍ۔ حِس کرُن۔ حِسہٕ پکُن۔

سَرو کرُن:۔ پوٗرٕ انتظام گٲرتھ دِیُن۔ پوٗرٕ بوٚنٛد بَس کرُن (گُن نیرنہٕ وِزِ)۔

سَروکار:۔ (ن < ف: سروکار)۔ (کأنٛسہٕ ستۍ، تولُق۔ کٲم۔ مطلب۔ غرض۔

سَریش:۔ (ن۔ موٗل: سَریش < ف: سریش)۔ دژٕر۔ دیٖر۔ اکہٕ قسمُک مایہٕ یُس چمرس پاکوتھ بناونہٕ یوان چھُ۔

سَر انجام:۔ وُچھِو ''سَر ۲'' لفظس تَل۔

سَر آب:۔ وُچھِو ''سَر ۲'' لفظس تَل۔

سَر براہ:۔ (ف: سر براہ)۔ وُچھِو ''سر ۲'' لفظس تَل۔

سَر بند:۔ (< ف: سر بند) وُچھِو ''سر ۲'' لفظس تَل۔

سَر پرست:۔ (< ف: سَر پرست) وُچھِو ''سَر ۲'' لفظس تَل۔

سَر پنٛچ:۔ (< ف: سَر + س: پنٛچہٕ) وُچھِو ''سَر ۲'' لفظس تَل۔

سَر پانٛکھ:۔ (< س: سَر پہٕ + اَکشہٕ) اکہٕ کُلِک ناو۔ اَتھ چھےٚ سَر پھ اُچھ ہش پھلے نیران، یہٕ چھُ گرمی دانن بہتر دوا۔

سَرپوش:۔ (< ف: سَرپوش) وُچھِو ''سَر ۲'' لفظس تَل۔

سَرتَل:۔ (م۔ موٗل: سَرتَل)۔ زٕرِ دزٕنگہٕ اَکھ داتھ۔

سَرتلہِ ہار:۔ کوٚرِ دودس پیٛٹھ گھتھ ہارن بنومُت اکہٕ قسمُک اُچھ دأدٕ دوا۔

سَرتاج:۔ (< ف: سَر + ع: تاج) وُچھِو ''سر ۲'' لفظس تَل۔

سَر تازٕ:۔ ساۓ روار۔ تازٕ۔ نوٚو۔

سَرحَد:۔ (م۔ موٗل: سرحَد < ف: سَر + ع: حد)۔

ا۔ بَنہٕ۔ مُلکہٕ ہیترِ ژٕک حد۔۲۔ سو جاے ییٚتہٕ
یوسہٕ بٔنس ہٕتی آسہٕ۔

سَرحٔدی:۔(حٕ وُچھو 'سرحَد') یُس سَرحدَس پٹھ روزان یابسان آسہٕ۔ یُس مُلکہٕ کِس أندس پٹھ روزان آسہٕ۔(ورگہٕ پأٹھی) وُچاپہٕ اِنسان۔ ناشائستہٕ۔

سَرد:۔(مؤل: سَرد < ف: سَرد)۔ ہوٚندُر۔ ترُن۔ ٹھنٔڑ۔

سَردِ گرم:۔(مؤل: سرِدگرم < ف: سرد و گرم)۔
ا۔ توت ترُن۔ أتی توت تہٕ أتی ترُن۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ژوٚک موٚدُر۔ جان ناکارٕ۔
غم تہٕ خوٚشی۔ حأرٕ ثاتھ۔۳۔(موٚسم ہیتر) نہ زیادٕ گرم تہٕ نہ زیادٕ سَرد۔

سردار:۔(حٕ ف: سردار) وُچھو 'سَر۲' لفظس تَل۔

سَردی:۔(م۔ مؤل: سَردی < ف: سَردی) تٕر۔ ہُندریر

سَردی لگٕنۍ:۔ تٕر لگٕنۍ۔

سَرٕد:۔(ن۔ مؤل: سَرد < ف: سروہ) اکہٕ قِسمُک خربُز۔

سَردُن:۔(ن۔ مؤل: سَرد < وُچھو سَرد)۔ ا۔ ہُندرَن۔ سرِد گوٚھن۔ ترٕنُن۔ ترُن گوٚھن۔۲۔ ژکھ ہیترِ ہمٕنۍ۔ غوصہٕ وسُن۔۳۔(ورگہٕ پأٹھی) دِل ہندرُن۔ کأنسہٕ ہُند تسلا گوٚھن۔

سَرزٔمین:۔ ( حٕ ف: سَرزٔمین ) وُچھو "سر۲" لفظس تَل۔

سَرسان:۔(حٕ ف: سرسام)۔ وُچھو 'سَر۲' لفظس تَل۔

سَرسٔڈی:۔ لاجوٕرد رَنگہٕ اکھ پوشہٕ ذاتھ۔

سَرسَری:۔(حٕ ف: سرسری) وُچھو 'سَر۲' لفظس تَل۔ تَل تہٕ۔ ا۔ پیٹھی پیٹھی۔۲۔ ہلٕو ہتھے۔

سَرسوٕتی:۔ (م۔ مؤل: سَرسوٕتی < س: سَرسوٕتی ) گیانٕچ دیوی۔ علمٕچ دیوی۔

سَرشُپھ:۔ زَن۔ مؤل: سَرشپ < س: سرشپَہ)۔ سَندٕج۔ سٔنزر۔ ہٕنٛز جہٕ پھٔلے۔

سَرشار:۔(حٕ ف: سرشار) وُچھو 'سَر۲' لفظس تَل۔

سَرکردٕ:۔(ف: سرکردہ) وُچھو 'سَر۲' لفظس تَل۔

سَرکس:۔ (ن۔ مؤل: سَرکس < انگ: سَرکس Circus) تم کرتَب ہیترِ یم کانٛہہ کمپنی کرتَب بازن تہٕ ہوٕ گرۍ ہتٕمن ڈٔرِندن ہیترِ ہِنٛدِ ذٔریعہٕ ہاوان چھہٕ۔

سَرکش:۔(حٕ ف: سَرکش) وُچھو 'سَر۲' لفظس تَل۔

سَرکار:۔(حٕ ف: سرکار) وُچھو "سر۲" لفظس تَل۔

سرگردان:۔ ( حٕ ف: سَرگردان )۔ وُچھو "سَر ۲" لفظس تَل۔

سَرگرم:۔(حٕ ف: سَرگرم) وُچھو 'سَر۲' لفظس تَل۔

سَرگم:۔(ن۔ مؤل: سَرگم < ہ: سَرگم) گوٚبنٛۍ سَتھ سور۔ گوٚبنہٕ کِنٛن سَتن سورَن ہُند پیمانہٕ۔

سَرگذشت:۔ (حٕ ف: سرگزشت)۔ وُچھو "سر۲" لفظس تَل۔

سَرگوٚل:۔(ن۔ مؤل: سَرگل)۔ شٲکھدر۔

سَرمایہٕ:۔ (ن۔ مؤل: سرمایے < ف: سرمایہٕ)۔

ا۔ دیُٹھ۔ ۲۔ کُنہِ چیزس پیٹھ لو گمت اصل رقم۔
۳۔ روپیہِ۔ ہارٕ۔ مال دَولتھ۔
سرمایہِ دار:۔ (مؤل: سَر مایہِ دار <ف: سَر مایہ دار)
ا۔ آسن وول۔ دیٗارٕ وول۔ اُمیر۔ دولتھ مند۔
۲۔ دیٗارٕ زورٕ ستھ ہینہٕ وول۔ استحصال کرن وول۔
سَرنکھ:۔ (ن۔ مؤل: سَرنکھ) پاٗڑٕ تارن ہُند جوتُھر ہیُوٗہ یُس پاکہٕ آمژن گوڑَن تارٕ ٹُلن وِزِ ووتھان چھُ۔
سَرنامہٕ:۔ (<ف: سرنامہِ) وُچھو "سرِ۲" لفظس تل۔
سَر وَر:۔ (<ف: سَر وَر) وُچھو "سرِ۲" لفظس تل۔
سَر وَرق:۔ (<ف: سَر+ع: وَرق)۔ وُچھو "سرِ۲" لفظس تل۔
سَر وانگ:۔ (ن۔ مؤل: سَر وانگ <س: سَر وانگہ) یُتھ نہٕ کانٛہہ پرگی یا کسَر آسہِ۔ مُکمل۔ پوٗرٕ پوٗرٕ۔
سَر وُلیا:۔ اَکھ کِچھ ذاتھ، اَتھ چھ دانہٕ ہی پوش نیران۔
سڑ زُن:۔ (ن۔ مؤل: سَر ز <؟س: سِد دھ)۔
کُنہ جایہِ واتُن۔ کُن سبدُن۔ کُنہِ درجس واتُن۔ کانٛہہ مقام حاصِل کرُن۔ ہُد پڑاوُن۔
سڑن:۔ (مؤل: سڑن <س: سڑ وَنہٗ) گمہٕ۔ عأرق۔
سڑ نبر:۔ (ن۔ مؤل: سڑ نبر <ویدِک س: سَنتہٗ)۔
ا۔ تھاہ سبٹھاہ بون آسِنٛچ حالتھ۔ ۲۔ سوٗن آسُن۔ پاٗینِس علاقس کُن آسُن۔ ۳۔ سڑ یہہ آسُن۔ سڑ ہیٚل آسُن۔ اُدریر۔ ٹری۔
سڑ نڈ:۔ (ن۔ مؤل: سڑ نڈ <س: سَنڈ) ا۔ مانٛشہِ کوٚٹ۔
۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) ویوٗٹھ پوٗٹھ اِنسان۔ وٚبٹھ۔
سڑ نڈ مُٹھ (ہیُوٗہ):۔ ویوٗٹھ تہٕ پوٗٹھ اِنسان۔ وٚبٹھ۔ یُس چرٕب (اُلی اُلی) کھوٚتمُت آسہِ۔ چرٕ بہٕ دِلند۔
سڑ ژو:۔ (ن۔ مؤل: سڑ ژو <س: سَند مشہٗ)۔
ا۔ ٹٚرژو۔ چُمٹہِ شکلہِ اَکھ اوزار یُس بیمہٕ ستی کھار بیترٕ تاوٕ کڑی ہٚتس شُستُرس تھپھ کران چھُ۔
۲۔ پُلاس چالہِ سٕنہ اوزار یُس بیمہٕ ستی رُٹتھ دَند بیترٕ مؤلہٕ کڈنہٕ یوان چھُ۔
سڑ و:۔ (ن۔ مؤل: سڑ و <س: سڑ و) زوٗو۔ گوٚو۔ نیٚگ گوٚد۔ یُس کُنس یا نٚستہٕ بیترٕ وَس تڑاونہٕ باپتھ کران چھُ۔
سڑ وَل:۔ (بانہٕ بیترٕ) یُتھ گوٚد آسہِ۔ یُتھ گوٚد آسنہٕ کِنی دوشان آسہِ۔
سڑ وُن:۔ (ن۔ مؤل: سڑ و <س: سڑ وَنہٗ) دوشُن۔ ہٚرتھ ژُلُن (آب بیترٕ) پھیرٕ پھیرٕ وَسُن پشپُن۔
سڑان۔ ٹٚرژان:۔ (ن۔ مؤل: سڑان <س: اَسنانہٗ)
ا۔ پان چھلُن۔ تَن ناوٕنی۔ غوٗسل۔ ۲ (گمہٕ بیترٕ) ییہِ وٚسنی۔
سڑانہٕ پٹھ:۔ کیٚر چھل یوسہِ سَترٕ باپتھ گنڈنہٕ یوان چھے۔
سڑانہٕ پٹ:۔ سُہ ہٚچو تختہٕ یُتھ پیٹھ موردس سڑان دِوان چھِ۔
سڑانہٕ دیگ:۔ سُہ بانہٕ یُتھ اَندر موردس سڑان

کرنہٕ باپتھ آب گرماوان چھہِ یا یِیمہٕ ستۍ مورد ِ
سُندسژانہٕ ووٗنی ترأوِتھ ژھنان چھہِ۔

سژانہٕ غوطہٕ:-ا۔ کولہِ بیترِ منٛز سژان کرنہٕ باپتھ دِنہٕ
آمُژ اکھ ڈُنگ۔ ۲۔ کم ہے کالس کرنہٕ آمت
سژان۔

سژانہٕ کُٹھ:-سُہ خاص کمرٕ یتھ اَند رسژان کران
چھہِ۔ غوسل خانہ۔ خاصکرِتھ سو جاے یوسہٕ
کولہِ بٹھِس نِش سُتر پأٹھۍ سژان صفأیی کرنہٕ
باپتھ بنأوِمژآسہِ۔

سژانہٕ گری حسابہٕ کن پھیرٕ نی:- ا۔(ورگہٕ)
مرُنس ووتمُت آسُن۔ مرُنس قریب آسُن۔
۲۔ سیٹھاہ کمزور آسُن۔

سژانہٕ گوٚرٕ:- موردس بیترِ سژان دِنہٕ وول۔

سژان دین:-موردس غوسل دیُن۔ کفنہٕ وَلنہٕ
بروٚنٛہہ موردس پان چھلُن۔

سژان سوندر:- ہرٕ ووتھنہٕ کہِ دوہہٕ لوسہِ ہُند
سژان تہٕ پأراو بیترِ۔

سژان کرُن:-آبہٕ بیترِ ستۍ پان چھلُن۔ تَن صاف
کرٕنی۔ تَن ناوٕنی۔ غوطہٕ کڈُن۔ یوڑُن۔
شُری کرُن (آبہٕ ستۍ)۔

سژڈی:-(م۔ مؤل: سژڈی) اَکھ جنٛگلی پوشہٕ ذاتھ۔

سژٕ نٛڈ ا:- (م۔ مؤل: سژنٛج <س: سَنٛپٹہٕ) لوٗٹ
ڈَبہٕ۔ م: سورمہٕ سژنٛڈ۔

سڑ نٛڈ ۲:-ویٹھ زنانہٕ۔

سرِہیٚل:- (ن۔ مؤل: سژہل <س: سیٖیہٕ)۔
ا۔ سریٚہہ دار (زُمین بیترِ) ۲۔ لولہٕ ہوٚت۔
یَس کأنٛسہِ ہُند وَسہِ آسہِ۔

سڑُ گال:-(ن۔ مؤل: سڑُ گال<س: شرِ گالہٕ) شال۔
ہوٗنس ہیوٚہ اَکھ جنٛگلی جانور۔ م: سڑگ،
سڑُ گال، گنٛڈی زَلہٕ ہُستی تیٚلہٕ سکٕلی پوٗنی چَن
(لل دید)

سڑُہُل کھسُن:-گژ ایہٕ گژھنہٕ۔

سڑوٗنٹ، سڑوٗنٹھے:-(ن۔ مؤل سڑوٗنٹ/سڑوٗنٹھے < س:
سَموٗڈھ)۔ ا۔ سألِم ژوٗبوٗتھ نہٕ پھُٹمُت یا کھنٛڈی
پھُٹ گوٗمُت آسہِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) زِدِسوٚنٛڈ
یَس نہٕ سَہَل سہَل کتھ فِکرِ ترِ۔ خط نیرنے۔

سڑ وٚڑ:- (مؤل: سڑ وٚڑ <س: سارِدَھم)۔ مُشترکہٕ۔
یتھ سأری استیمال کرِتھ ہکن۔ یہٕ اَکھ
ہنٛزِ یأ ژٕ ملکیتھ آسہِ نہٕ۔

سڑ وٚڑ بوزُن:-ا۔ مُشترکہٕ پأٹھۍ کانٛہہ چیز استیمال
کرُن۔ سأری کُنہٕ چیزس حقدار زانٛنۍ۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) پنُن نہٕ زانٛتھ اوٗری نیتھ یٚنٛز
تہٕ خراب کرِتھ ژھنُن۔ مأ لکھ نہٕ لاگنہٕ کنہ
شیرنہٕ دادِوراُن کرُن۔

سڑ ۋ زدیگ چھےٚ ہونوٗ کھیمٕژ:-تہٕ ژٕ یتھ گوٚ یتھ
وار یاہ مأ لِکھ آسن تتھ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ واتان،

راچھ کران۔

سۄ ودِ گرُک پۄ ژھ:- سہ پۄ ژھ یَس (سۄ ڈِس گرس منز مان مأنۍ یِکنی) کانُہہ تہٕ پژ ژھٕنہٕ۔

سۄ ودگرُک ہۄن:- (سۄ ودِس گرس منز مان مأنۍ یِکنی) یَس نہٕ کانُہہ مأ لِکھ لاگہِ۔

سۄ دِمولہٕ:- تھوک ٕقیٖمتس پیٚٹھ۔

سۄ ودِل:- (م۔ مۄل: سۄ ڈِل <وُچھو سۄ ود) شُری کۄت۔

سۄ ودِنیار:- (ن۔ مۄل: سۄ ودنیار <وُچھو سۄ ود) سۄ ودآسُن۔ مُشترک آسُن۔ کانُسہِ اَکی ہِندِس حِصس نہٕ گِنڈِتھ آسُن۔

سۄ ڈگ:- (ن۔ مۄل: سۄ ڈگ <س: سَمرگھ)۔ ا۔ یِتھ ٕقیٖمتھ کِہ آسہِ۔ ییٚر نہٕ درۄگ آسہِ۔ مولہٕ کم۔ ۲۔ وٕسِتھ۔ تھدِ قِسمُک نہٕ۔

سۄ ڈگے گو درۄگ تہٕ درۄگے گو سۄ ڈگ:- تہٕ دٕپِتھ گوٕوسۍ پایہِ چیز چھُ گرِ ہیوٚن پیوان تہٕ کیازِ تتھ چھُ دار کم نیران۔

سۄ ڈگ پیٚھ تہٕ پناہ دار:- تہٕ دٕپِتھ گو یِتھ کم ٕقیٖمتھ اَستھ تہٕ جان باگہِ نےٚ آسہِ یا دار نیر۔

سۄ ڈگ شۆد تہٕ پناہ دار:- وُچھو "سۄ ڈگ پیٚھ تہٕ پناہ دار۔"

سۄ وگہِ بازرٕ:- یُتھ جایہِ یاتس رِنش پیٚتہٕ کینُہہ کم مولہٕ دَسیاب آسہِ۔ کم ٕقیٖمتس پیٚٹھ۔ تھدِ باوٕ نہٕ۔

سۄ وگہِ دڑ وگہِ:- گُنہِ نتہٕ گُنہِ ٕقیٖمتس پیٚٹھ۔

سۄ وگراوُن:- (ن۔ مۄل: سۄ وگراو) ٕقیٖمتھ کم کرُن۔ باو والُن۔ سۄ وگہِ مولہٕ کُنُن۔

سۄ ون:- (ن۔ مۄل: سۄ ون/سۄ ن <س: سَننہٕ) ا۔ سوٗن۔ یِتھ ژۄک سبٹھاہ بون آسہِ۔ ۲۔ یہٕ پأیِٹھن علاقس کُن آسہِ۔ یوٚنی مہٕ طرفُک (زٕمیٖن بیٚتر)۔ ۳۔ یَس رِنش نہٕ کَتھ سَہل سَہل نیرِ یُس نہٕ اوٚپ آسہِ۔ سُنجیٖد۔ ۴۔ خیال بیٚترِ۔ یِتھ وار یاہ مانہٕ نیرِتھ ہیکن۔

سۄ ونڈ:- (ن۔ مۄل: سۄ ونڈ) منز عنٛد۔ دانبس بیٚترِ دِژہٕ مژ دوییم عنٛد۔

سۄ وجر:- (ن۔ مۄل: سروجر <وُچھو سۄ وگ)۔ ا۔ ٕقیٖمتن منز نرمی۔ ییٚلہِ پرتھ کانُہہ چیز کم باوس پیٚٹھ ہینہٕ یِنہٕ ییہِ۔ ۲۔ سوکال۔ ییٚلہِ پرتھ کانُہہ چیز سولہٕ پأٹھۍ دَسیاب آسہِ۔

سروزر:- (ن۔ مۄل: سروزر <وُچھو "سرو") سۄ ود آسُن۔ مُشترک آسُن۔

سۄ وگہِ نیار:- وُچھو "سۄ وجر"۔

سۄ وگن:- (ن۔ مۄل: سۄ وگ <س: سَمرگھ) ا۔ سۄ وگ گرٕھن۔ کم مولس پیٚٹھ کِنہٕ یُن۔ باوٕ وَسُن۔ ۲۔ قدٕر روٕ سٕنۍ۔ قدٕر کم گژھنۍ۔

سۄ ونگ:- (م۔ مۄل: سۄ ونگ <س: سُرُنگہٕ)۔ ا۔ بالس بیٚترِ اَپارِ یپور دِنہٕ آمژ ہد۔ ۲۔ (ورگہٕ

پأٹھی) سبٹھاہ ٹنگ تہٕ اَنہٕ گٹ وَتھ یا گُٹھ۔ زیوٗٹھ تہٕ ٹنگ گُٹھ۔ کھوٚت۔ تزون۔ ۳۔ پلَس، گُلِس (پھاٹونہٕ باپتھ) کرنہٕ آمُت گوٚد یتھ منز شورٕ تہٕ سو یتھ بران چھِ۔

سڑوٹنگ دِنۍ:- ۱۔ ہُد دِنۍ۔ بالِس بیترِ منزی وَتھ کڈٕنۍ۔ ۲۔ کنہِ پھاٹناونہٕ باپتھ شورٕ برُن۔

سڑیٚہہ:- (ن۔ مؤل: سڑیٚہہ <س: سَنیہ)۔ ۱۔ اُدریر۔ کُنہِ چیزس آب بیترِ پینہٕ کِنۍ یا کٕھونہٕ پینہٕ کِنۍ روٗدمُت اُدریر ہیوٗ۔ ٹرۍ۔ ۲۔ مایہ۔ لول۔ محبتھ۔ ۳۔ طراوتھ، سپری (یوسہٕ بتہٕ بیترِ کھینہٕ ستۍ پھیران چھےٚ)۔

سڑیٚہہ بوٗرُت:- ملیہِ ہوٚت۔ یُس سخ لول آسہِ۔ مُشیٚل۔

سڑیٚہہ آسُن:- ۱۔ اُدریر یا ٹرۍ روزِنۍ۔ ۲۔ کاًنسہِ ہُند وَسہِ آسُن۔ کاًنسہِ ہنز مایہ آسٕنۍ۔

سڑیٚہہ برُن:- لول برُن۔ محبتھ کرُن۔

سڑیٚہہ پھیرُن:- ۱۔ ٹرۍ پھیرٕنۍ۔ تازٕگی ینٕنۍ۔ ۲۔ مایہ پھیرٕنۍ۔

سڑیٚہہ دار:- یتھ سڑیٚہہ آسہِ۔ اوٗدُر۔ تر۔ اُدریرٕ سان۔

سڑیٚہہ روزُن:- پوٗرٕ پأٹھی نہٕ خوٗشک گژھُن۔ ٹرۍ اُتھی روزٕنۍ۔

سڑیٚہہ کرُن:- آبہٕ ستۍ کٕھوٗن۔ اوٗدُر کرُن۔ اُدراوُن۔

سڑیٚہہ گژھُن:- ۱۔ اُدربر گژھُن۔ آبہٕ بیترِ ستۍ کٕھوٗنہٕ یُن۔ بوڈ وَنہٕ یُن۔ ۲۔ مایہ پھیرٕنۍ۔ کاًنسہِ ستۍ محبتھ گژھُن۔ کاًنسہِ ہُند لول یُن۔ ۳۔ طراوتھ پھیرٕنۍ۔ سپری گژھٕنۍ۔ (کینژہہ کھینہٕ ستۍ)۔

سَڑکھ:- (م۔ مؤل: سَڑک <س: سَر کہ۔ م۔ ہ: سڑک) وَتھ یپأری عام لوٗکھ یا موٹر ٹانگہٕ بیترِ پکان آسن۔

سَڑُن:- (ن۔ مؤل: سَڑ <پراکرت: سڈنہٕ۔ م۔ ہ: سڑنا)۔ ۱۔ ہوٚژُن۔ خراب گژھُن۔ دوٗدرُن۔ ۲۔ اُکرِ ہیٚے جایہِ روٗزِتھ گژھُن۔ کُنہِ کامہِ کارَس نہٕ لاگنہٕ یُن۔ ۳۔ کاًنسہِ ہِندِ دزُن۔

سَز:- (ن۔ مؤل: سَز <س: سَر ہ) بڑٕنہٕ کاٹھک یا گنہار ٹاٹھِ ہُند سوٗ رٕیُس صابنہِ پٕژھی استیمال کران چھِ۔

سَزٕ صابَن:- ۱۔ سزن بناوٕمُت صابَن۔ اکہِ قسمُچ صابن۔ ۲۔ چھلَن سامانہٕ۔

سَزا:- (ن۔ مؤل: سزا <ف: سَزا)۔ تہِ کینژہہ یہِ قوٗصوٗروارس تدور کہ پٕژھی کرنہٕ ییہِ۔ ڈَنڈ۔

سَزاوار:- (<ف: سَزاوار)۔ یُس سزا کھسہِ۔ سزاہَس لایق۔

سَزا یافتہٕ:- (<ف: سزایافتہٕ) یُس سزا دِنہٕ آسہِ آمُت، ییٚمی سزا کھیوٗمُت آسہِ۔

سَزیو:- (مؤل: سزیو <س: سجیوَ) یتھ یا یُس زُو آسہِ۔ زُوٗ ذاتھ، جاندار۔

سَزٕا:- (ن۔ مؤل: سَز)۔ گول گرمٕو کتر کھنڈ یتھ شُری بیترِ گنڈان چھِ۔

سَرٕ کِتر :-سو کِتر یوسہٕ سَرٕ لِنگس لگان چھےٚ۔

سَرٕ گُتی :-ا۔سو کھوڑٕ ج یتھ اَندر سَرٕس رگندان چھہٕ۔

۲۔اَکھ شُرِ کھیل یتھ اَندر تم واریاہ سَرٕ اَکِہ خاص نشانہٕ پٹھ کھوڑجہِ اَندر برٕتھ دِوان چھہٕ۔

سَرٕ لوٚ نٛگ :- اَکھ شُرِ کھیل یتھ اَندر شُرِ لوٚ نٛگ لوٚ نٛگ کران کھورٕ پھیٚنچہٕ ستی سَرٕ پتھرِس پٹھ بناوِی مَتہٕ اَکِہ خاص خاکہٕ کِہ اَکِہ خانہٕ منٛزٕ دوٚیمس خانس تاران چھہٕ۔

سَرٕ۲:-(ن۔مۄل:سَرٕ >س:سَرجہ)۔اَکِہ خاص پوشہٕ گُلیٚگ ناو۔اَمہِ کِس پوشس چھُنہٕ مُشکھ آسان۔

سَرٕ بیٛول :-سَرٕ گُلیٚگ بیٛول یُس جولابس دَوا چھُ۔

سَرٕ پوش :-سَرٕ گُلیٚگ پوش۔

سَرٕ لبٕب :-سَرٕ مۄلن ہُندرَس،یہِ چھُ اَکھ دوا۔

سَرٕ مۄل :-سَرٕ گُلیٚگ مۄل:یہِ چھُ اَکھ دوا۔

سَرٕ واز :-(م۔مۄل:سَرٕ واز)ساَزِش۔ژوے۔اَکھ اَکِس ستی لِچہٕ واٹھ(کاُنسہِ خلاف)۔

سَرٕ ن :-(ن۔مۄل:سَرٕ)۔ا۔ہال گرٕھنی۔زٕ رولُن۔

۲۔کُنہِ مامَلس بیترٕ سَتُن۔

سَرٕ وۄل :-(ن۔مۄل:سرٕ وول >ترٕکی:سزاول)۔

ا۔سُہ مُلاٚزِم یُس سرکارکہِ طرفہٕ لوٚکن نِش مامِلہٕ یا ٹیکس بیترٕ سوٚمبراوان اوس۔۲۔کُنہِ کامہِ ہنٛز نگرانی کرن وول پٹھوول۔۳۔(ورگہٕ پاٹھی)جابرٕ۔

ہ۔سَرٕ ر۔سَرٕ ھر :-(مۄل:سَرٕ ر >س:سہتَہ)سوٚت

آسُن۔کانٛہہ یا کیٚنٛہہ ہیتھ آسُن۔ستی آسُن۔

م:پھلہٕ سَرٕ ر۔

سَس :-(ن۔مۄل:سَس >س:سَیہ)۔دال۔

سَسہٕ رَس :-ا۔اَکِہ قسمُک کھینہٕ یاوِیُس تومُلس تہٕ پاچہِ رَس بناٚوِتھ باٚ گرٕنہٕ یِوان چھُ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی)نیاز رٕنگی موچھہِ پھوٗل سوٚمبراٚوِتھ)وَتہٕ پٹھ رَنہٕ آمُت بتہٕ بیترٕ۔

سَسہٕ گوٗ نٛج :- دالہِ ستی رٕنی مژ گوٗ نٛج۔

سَسہٕ مٕج :-دال یتھ مُجہٕ ژٕکل تہٕ ستی آسن۔

سَسہٕ نٛدرٕ :-نٛدرِ مانٛگن تراٚوِتھ دال۔

سَس تہٕ رَس گرٕھن :-ا۔زلہٕ مِلہٕ گوٚھنہٕ سبہٕ بےٚ وٕقری گرٕھنی۔۲۔کُنہِ لایق نہٕ روزُن۔خراب گرٕھن۔

سَس تہٕ رَس میلُن :-نہ رَلہٕ وٕنی چیز تو تہٕ یکہٕ وَٹہٕ رَلاٚوِتھ تھوٕنی۔کھوٚرٕ کرٕنی۔

سَس کرُن :-کسَرٕ تھوٕنی۔خراب کرُن۔بڑے اٹکی۔

سَستہٕ :-(مۄل:سَت >ہ:سَستا)۔سرٕ ژگ۔مولہٕ کم۔یتھ نہٕ باو آسہٕ۔

سَطرٕ نٛڈ :-(م۔مۄل:سَطرنٛڈ/سَطرنج >ف:شَطرنجی/س:شَتہ+اَنٛجہٕ)۔ژٕرٕ۔اَکھ وَتھرٕ نی پلکو(یہِ چھُ یُتھ پاٹھی ستٕر وآسان)

سَطرٕ نٛجہِ پلکو :-لو یکٹ سَطرٕ نٛڈ۔

سَطرٕ نٛجہِ فرٕد :-لو یکٹ سَطرٕ نٛڈ۔ژادرِ بچہ یا ژٕ سَطرٕ نٛڈ۔

سَفَر:-(نِ۔مؤل:سَفر <ع:سَفَر)۔ا۔اکہِ جایہِ پیٹھ بیٚیِس دۆر جایہِ گژھن (سامانہٕ، ڈیرِ ڈگہٕ بیترِ ہیتھ)۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) زِندگی اَندر رکژ یِکھر مُصیبتھ۔دوکھ۔حاٗرثاتھ۔

سَفَر پیوٚن:-(وَرگہٕ پاٗٹھی) بناوتھ یُن۔بُتھ یُن۔دوکھ پیوٚن۔

سَفَر تُلُن:-مُصیبتکو دوہ کڈٕنی۔سختی برداش کرٕنی۔

سَفَر خرچہٕ:-پاٗنسہٕ بیترِ یِم سَفَرس اَندر بکار لگان چھِ۔

سَفَر دزاو:-سَفَر کڈِتھ آمُت (یَس مُس آسہٕ ژا مُت)

سَفَر کڈُن:-مُصیبتھ تُلنۍ۔فِکرَن تہٕ پریشانٔی یَن اَندر گیر سپدُن۔

سَفَر کرُن:-کُن دۆر پیٹھ نیرُن۔پنُن شہر یا مُلک ترأوِتھ بیٚیِس شہرس یا مُلکس گژھن۔سبٹھاہ مَنزِل طے کرٕنی۔

سَفَر لَد:-یَس مُصیبتھ پیوٚمُت آسہِ۔مُصیبتھ زَدٕ۔ییٚمی بناوتھ وُچھی ؠتی آسَن۔سَفَر دزاو۔

سَفَر نامہٕ:-سَفرُک تذکرٕ یا بیان۔تِمن حالاتن بیترِ ہنٛز باوتھ یِم سَفَرس اَندر در پیش یِن۔

سَفَر ؠنۍ:-مُصیبتھ ؠنۍ۔پریشانٔی یَن اَندر گیر سپدُن۔بناوتھ یُن۔

سَفارَت:-(م۔مؤل:سَفارت <ع:سفارۃ)۔سُفیر ہنٛز کام۔کُنہِ مُلکس اندر بیٚیہِ مُلکہٕ کین مَفادن ہنٛز نگرأنی تہٕ دۆن مُلکن اندرِ یور شیٚچھ پاٗغام واتناونچ اَجنسی۔

سَفارَت خانہٕ:-سُفیر سُند دَفتر۔

سَفارتی تولقاتھ:-سُفیرن ہنٛدِ ذٔریہِ دۆن مُلکن درمیان تولقاتھ۔

سَفید:-(مؤل:سفید <ف:سفید)۔ا۔اَکھ رَنگ۔چھوٚت۔۲۔پژوٚن۔۳۔کوٗر۔۴۔(ورگہٕ پاٗٹھی) نادار۔

سفید اَو بُرٕ ژٕ کرے، کرٕ ہُن اَو بُرٕ دَرے نہٕ زاہ سوٗس مار یاد کرے، واد کرے نہٕ زاہ:-تہٕ ذٕپتھ گوٚیُس دِلہٕ صاف آسہِ تَس چھُنہٕ کانٛسہٕ ہُنٛد کینٛہہ دِلَس منٛز روزان، اَنٛدرٕ ہمٕل چھُ کتھ مَنہٕ مَنٛزی دَل دِوان تہٕ واپس نہٕ کہٕنی ونان۔

سَفید پوش ا:-(ل۔م: یِس سفید پلو نالٕ آسَن۔(ورگہٕ پاٗٹھی) سُہ غریب یَس دُنی یا دیہہٕ ژھٕلِتھ پلو لاٗگتھ نیرِ تہٕ گُزارٕ وول آسنٛگ باس دیہِ۔مَنٛزِ مہِ درجُک اِنسان۔

سفید پوش ۲:-سفید رَنگہٕ اَکھ وٕؠنۍ پوشہِ ذاتھ، اَتھ چھ سویہ بُرٕگ ہی وُتھر نیران۔

سَفید تُہر:-موٗگُلین ہنٛز اَکھ بیمأری ییمہِ ؠتی گلی تہرس سفیدی پھیران چھےٚ۔

سفید جُری:-سفید رَنگہٕ اَکھ پوشہِ ذاتھ۔

سفید ژنٛدُن:-ژنٛدنُک اَکھ قِسم یُس شَربُتہٕ ؠتی ترٛاوان چھِ۔

سفید کاشگر:-(نِ۔مؤل: سفید کا شگر <ف:

سفیدہٕ کاشغر)۔اکھ دوٚنگ ناو۔

سفیدی :- (م۔مؤل: سفیدی <ف: سفیدی)۔ ا۔سفید رنگ۔چھرٛر۔٢۔چوٗنہٕ لوٗن۔سفید رنگہٕ ستیٚ لوٗن۔

سفری:-(<ع:سفر)۔لوتہٕ وے۔یہ سہل پأٹھۍ تُلنہٕ تہٕ اونہٕ ییہِ۔یہ سفرس اندر لگہِ

سقر،سقُر:-(ن۔مؤل:سقر <ع:سقر)۔اکھ جہنمک ناو۔

سقہٕ:-(مؤل:سق <؟)مشکی۔پانٛیر۔سہٕ یُس مشکہٕ کیتھ آب ساران آسہِ۔یُسند کار آب سارُن آسہِ۔ تہٕ لیش چاوُن وول (خاص کر مجلسن منز)۔

سکابہٕ:- (ن۔مؤل: سکاب <ع: سقایۃ ۔م۔ہ: سقاوہ۔سقابہٕ)۔ا۔چاروایَن ہُنٛد تہٕ پاکھ پیشنٛچ بمأرۍ۔٢۔(ووہو) سخ بمأرۍ۔

سکارٕ:- (ن۔مؤل: سکار <س: سوٗ یکار)۔ کھاندرٕ باپتھ دِژٕ مے قسم۔ کھاندر گنڈنہٕ باپتھ وادٕ (گوٗبرٕ مالۍ سُند)۔کھاندرٕ باپتھ آنکار۔(یُس کورِ مول گوٗبرٕ مألِس دِوان چھُ)۔

سکارٕ دِین:-کورِ یا نچوٗس کھاندر گنڈنہٕ باپتھ دِژٕ مے قسم کرُن یا وادٕ دِین۔کورِ یا نچوٗس نیٚتھر گنڈُن۔

سکارٕ ہیوٚن:-کھاندر گنڈنہٕ باپتھ وادٕ ہیوٚن۔ دِژٕ مے قسم کرناوُن (گوٗبرٕ مول یا کورِ مول)۔

سکام:-(مول: سکام <س: سکار) فرض منٛدانہٕ ۔م: نیٚشکام۔بےٚ غرض پأٹھۍ۔

سکہِ:-(ن۔مؤل: سک) بُرٕ یا ہگہٕ پھلو بیترٕ یم لکر دلان وو تھان چھِ۔تورِ چھِھ یا رنٛدٕ زلیٚن بیترٕ۔

سکہٕ جار:-(ن۔مؤل: سکہٕ جار <س: سکرٛیہٕ) (ہیٚنٛدین ہُنٛد) مذہبی آوریر۔گُنہِ مذہبی کامہِ ستیٚ آوُر آسُن۔

سکلی:-(مؤل:سکلی <س:سکلہٕ) سأرۍ۔پرٛتھ اکھ۔ ہر کانٛہہ۔پرٛتھ کانٛہہ چیز۔پرٛتھ کینٛہہ۔سوٗرے۔

سکُل:-(ن۔مؤل:سکل <س:سکالہٕ) یُس صُبح پیٚتھ فاقہٕ تہٕ پھکرے آسہِ۔یُس سکہٕ لوٚگمت آسہِ۔ییٚمۍ نہٕ صُبح پیٚٹھے کینٛہہ کھیوٚمُت آسہِ۔

سکتہٕ، سکھتہٕ:-(ن۔مؤل:سکت <ع: سکتۃ)۔ ہاٹ فیل۔وأنٛج بہتھ گژھنہٕ کنٛز مرنٛچ حالتھ۔ اکھ بمأرۍ یتھ اندر اِنسانس نرٕ زنگہٕ روٗزِتھ گژھان چھےٚ سو بمأرۍ یتھ اندر انسان بےٚ حس گژھتھ پیوان چھُ۔

سکتہٕ گژھُن:-ا۔نرٕ زنگہٕ روٗزِتھ گژھنہٕ۔حرکتھ گژھنۍ۔ وج گژھُن۔ ہارٹ فیل گژھُن۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) حس ہوش راوٕنۍ، ہیہٕ بنگہٕ گژھُن (وُلتہٕ خبر بیترٕ بوٗزِتھ)۔

سکراتھ:-(ن۔مؤل:سکرات <ع:سکراۃ)۔ا۔سختی۔ بےٚ قرأرۍ۔بےٚ آرأمی۔٢۔موتچ سختی۔مرن وِزِ ہُنٛد تکلیف۔

سکراتچ تلخی:-موتچ سختی۔

سَکراتُل موت :- موتُک ژھر ۔ موتٕچ سختی ۔

سَکراتھ میلُن :- سخ بےٚ آرامی گژھنۍ ۔ سخ ستم یُن ۔

سَکرأتی لَد :- تباہ حال ۔ مُصیبتھ زَد ۔

سَکلی :- (مؤل: سَکلی < س: سکلہ) ۔ ا ۔ صِجس سُلی ۔ ۲ ۔ بَنٛدرِ ووتھوٗنۍ یِیلہٕ نہٕ کٕہنٛز تہٕ آسہِ وُنہِ کھیوٗمُت ۔

سَکھر :- (م ۔ مؤل: سَکھر < س: سَنسکر) کُن نیرنہٕ باپتھ تیأری ۔ سَفرَس نیرنہٕ باپتھ سامانہٕ بیترِ شیرُن ۔ سفرٕچ تیأری، سَنز ۔

سَکھر کرٕنۍ :- سَفرَس بیترِ نیرنہٕ باپتھ تیأری کرٕنۍ ۔ سَنز کرُن ۔ سامانہٕ بیترِ شیرُن ۔

سَکھر لَگٕنۍ :- ا ۔ کُن نیرنہٕ باپتھ پلو یا سامانہٕ بیترِ شیرنک بِسر گرلگُن ۔ سَفرَس نیرنہٕ باپتھ سَنز کرُن ہیوٚن ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) بوٚنٛد بَس لگُن ۔ کأم بیترِ شوٚر رٔ کرٕنۍ ہیٚنۍ ۔ ۳ ۔ مرُن وان ہیٚنۍ ۔

سَکھراوُن :- کُن نیرنہٕ باپتھ تیار کرُن ۔ پلو یا سامانہٕ بیترِ شیرِتھ تھوٗن (کأنسہِ ہُنٛد) مہرٕنۍ مہراز بیترِ ہوٗرکڈنہٕ باپتھ تیار کرُن ۔

سَکھرٕنۍ :- (م ۔ مؤل: سَکھرٕنۍ) ۔ سوکأنۍ یِیمہٕ سٕتۍ زال وونان چھےٚ ۔

سَکھرُن :- (ن ۔ مؤل: سَکھر < س: سَنسکرنہٕ) سَفرَس بیترِ باپتھ تیار روزُن ۔ کُن گوٚھنہٕ باپتھ تیأری کرٕنۍ ۔ پلو یا سامانہٕ بیترِ گنٛڈِتھ تھوٗن ۔

سَکھرِتھ بِہُن :- کُن گوٚھنہٕ باپتھ بِلکُل تیار آسُن ۔

سَنز کرِتھ روزُن ۔

سَکھرِتھ روزُن :- بروٚنٛٹھے سَنز کرِتھ روزُن ۔ کُن نیرنہٕ باپتھ بروٚنٛٹھے تیأری کرِتھ آسُن ۔ سَفرٕ باپتھ پوٗرٕ پأٹھی تیأری کرِتھ آسُن ۔

سَگ ا :- (ن ۔ مؤل: سَگ < س: سَرگہٕ) زٔمینس بیترِ آب لدُن ۔ ڈوٗرِس آب دِیُن ۔ کُلبن بیترِ آب واتناوُن ۔

سَگہٕ بوٚر :- یِپأری وارِ بیترِ سَگ ترٛاوان چھِ ۔ کرپرٕ کُلِس نش سوجاےٚ یِیتھ آب کھأرِتھ سَگہٕ سأر ترٛاوان چھِ ۔

سَگہٕ جوے :- ڈوربن بیترِ سَگ واتناونہٕ باپتھ دِنہٕ آمٕژ سار ۔ لوکٹ نألی یَش یِپأرۍ ڈوٗرِس بیترِ سَگ ترٛاوان چھِ ۔ سَگہٕ رَو ۔

سَگہٕ روٚو :- کُلِس بیترِ اَنٛدی اَنٛدی کھنہٕ آمُت دوب ہیٚو یَتھ اَنٛد رسَگہٕ ووٚنۍ روزان چھُ ۔

سَگہٕ سار :- لوکٹ جوے یَش یِیمہٕ مَنٛزی ڈوٗرِس بیترِ سَگ واتناوان چھِ ۔ سَگ پکناوٕنۍ وتھ ۔

سَگہٕ نأر، سَگہٕ نور :- لَکرِ بیترِ ہُنٛد بنومُت نور ہیوٚ یِیمہٕ مَنٛزی ڈوٗرِس آب واتناوان چھِ ۔

سَگہٕ وور :- تولہٕ وور ۔ یَتھ منٛز کولہٕ بیترِ اَنٛدر آب کھاران چھِ ۔

سَگ تھوٗن :- ا ۔ ڈوٗرِس بیترِ آب لأگِتھ تھوٗن ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) کُنہِ نَتہٕ کُنہِ رٕنٛگۍ اتھ روٚٹ کرُن روزُن ۔ پوٚنسہٕ بیترِ رٕنٛگۍ مدد جأری تھوٗن ۔

سَگ دَرِ:- تھزر راونہٕ آمژ سار یۄسہٕ مۄژی ڈۄرِس سَگ ترٛاوان چھہٕ۔

سَگ دِیُن:- ۱۔ گُلبن بیتر آب دِیُن، آب ترٛاوُن (ڈۄرس بیترِ)۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) پَلالہٕ کرُن۔ کأنسہِ کُنہٕ نتہٕ بیٛیہٕ رَنگہٕ مدد کرُن۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) کأنسہِ بَد انسانس مَدد کرُن، خأر کرُن۔

سَگ لگُن:- پَلالہٕ کرُن۔

سَگ ۲:- (ن۔ مۄل: سَگ > ف: سَگ) ہوٗن۔

سَگ ۳:- (م۔ مۄل: سَگ) رَز یۄسہٕ زالس سٟتی وأٹِتھ چھےٚ آسان۔

سَگ ۴:- (مۄل: سَگ > پرٛاکرت: سَگبھ > س: سَگربھ۔ مُ: ہ: سگا)۔ پٹُن۔

سَگ اَلگ:- ۱۔ پٹُن پرُد۔ ۲۔ پنہٕ جایہٕ کتھِ باپتھ۔ سِر۔ م: سَگ الگ باوُن۔

سگوٗن:- سَگ۔ دِیُن۔

سَگُن ۱:- (مۄل: سَگ > س: سَگُنہَ) گونہٕ یا وصفہٕ کُنہِ مۄحدوٗ دباسہٕ وُن۔ یۄمِیُک تصور ہیکہِ زِ کرِتھ۔

سَگُن ۲:- (ن۔ مۄل: سَگ > س: سَرگہٕ) ڈۄرس بیترِ رَنگ دِیُن۔ آب ترٛاوُن۔ (فصلس بیترِ)

سَل:- (ن۔ مۄل: سَل > پرٛاکرت: سِلا > س: شِلا) اتھہٕ گرٕ ژ تلِم کنۍ۔

سَلے:- (م۔ مۄل: سَلے > پرٛاکرت: سلایا > س: شلاکا) شُسترٕ وتُل یا ژٕ۔ مۄٹ تارِ ٹُکرٕ یا

شُسترٕ و تُل (یۄمہِ سٟتی بُنیان بیتر وونان چھِ یا سورمہٕ لاگان چھہِ)۔

سَلاجیت:- (ن۔ مۄل: سلاجیت > س: شِلاجَتُ) اَکھ دوایُس کینژن جایَن گونڈ چالہِ یا ژیر کرِ ینِکہِ پأٹھی کنہن پریڈان چھہٕ۔

سَلام:- (م۔ مۄل: سَلام > ع: سلام) ۔ ۱۔ بَندگی آداب (تہٕ کرنہٕ باپتھ اتھہٕ بیترِ سٟتی اِشارٕ)۔ ۲۔ نِمازِ اَندر التحیاۃ پرِتھ دٕچھن کھوٗر کلہٕ پھِرِتھ السلام علیکم ورحمۃ اللہ پرُن۔ ۳۔ توھہٕ یا ڈالی یوسہٕ کأنسہِ مُبارکہٕ پرٛژھنہٕ نوان چھہِ۔

سَلام پائٕنی:- رَسمی سلاما کرٕنی۔

سَلام پھِرٕنی:- نِمازِ اَندر التحیاۃ پرِتھ دٕچھن کھوٗر کلہٕ پھِرُن تہٕ السلام علیکم ورحمۃ اللہ پرُن۔ نِماز پرِتھ موکلاوٕنی۔

سلام سوزٕنی:- کأنسہِ اتھ آداب واتناوُن۔

سَلام کرٕنی:- آداب بَندگی کرٕنی۔ رِژر کاچھُن۔

سَلامت:- (مۄل: سلامَت > ع: سلامۃ)۔ ۱۔ مۄحفوٗظ۔ بچتھ۔ ۲۔ تَن دُرُس۔ اَرِزٕو دَرِ کوٚتھ۔ خوش حال۔ وارِ کارِ۔

سلامانہٕ:- سُہ توھہٕ یُس کأنسہ بِڈِس مہنوٗس کُنہٕ خاص دوہس پیٚٹھ پیش یِیہٕ کرنہٕ۔

سلاُمتی:- (م: مۄل: سلامتی > ف: سلامتی > ع: سلامۃ)۔ ۱۔ اوٚرزٕو دوٚر کوٚتھ۔ تندرُستی۔

۲۔خوش حاٰلی۔آرام تہٕ آسائیش۔سۆکۄن۔بچاو۔

سَلاٰمی ا:-(م۔مۆل:سَلاٰمی <ع: سلام)۔ا۔فوٗجیَن بیترِ ہنٛز سلام۔مارِچ پاس کران فوٗجی اَنداز س منٛز کاٰنٛسہِ بڑٕس مُہنٛوِس سلام (دِنی) یا توٚپھ بیترِ تراٗوِتھ کاٰنٛسہِ اِستقبال (کرُن)۔۲۔توٗھہٕ بیترِ یُس کاٰنٛسہٕ وُچھوٗنی دِنہٕ ییہِ۔

سَلاٰمی ۲:-(م۔مۆل: سلامی <ف: سلامی)۔ دَمہٕ نیار۔وَسہِ وُن آسُن۔وُتراٗے۔

سَلہٕ وُن:-اَکھ وٕسنی گاسہِ ذاتھ،اَتھ چھِ پانہٕ وٕتھر ہی پوٚش نیران۔

سَلطنَت:-(م۔مۆل: سلطنت <ع: سَلطنۃ)۔ ا۔پادشاٰہی۔حۄکوٗمَتھ۔۲۔سُہ علاقہٕ یتھ پٮ۪ٹھ کانٛہہ سُلطان حُکمراٰنی آسہِ کران۔

سَلکہٕ، سُلکہٕ:-(ن۔مۆل: سلک <ع: سالک)۔ ا۔ژاٗنھ۔ پتہٕ پتہٕ پکن وول۔ مُرید بیترِ۔ ۲۔جوسوٗس۔یُس ژرژِ۔یُس زاگ ہیٚنہِ۔ ۳۔پیادٕ۔یُس پتے روزِ۔

سَم ا:-(مۆل: سَم <س:سَمَہ) موٗسیقی اَندرتالہِ ہُنٛد اَکھ انداز۔

۵۔سَم ۲:-(مۆل: سَم <س:سَمَہ) ا۔سۆم۔یتھ نہٕ کھَس وَس آسہِ۔ہموار۔۲۔کاٰنٛسہِ ہنٛز راے نہٕ۔کاٰنٛسہِ ہُنٛد پاس یا لحاظ نہٕ۔غاٗر جاٗنبداٗری۔

سَم قَد۔سۆم قَد:-میاٗنہٕ قَد۔مُناسِب قَد۔

سَم ۳:-(<ع:سَم)۔زہر۔

سَمسکار:-(ن۔مۆل: سَمسکار <س: سَمسکار)۔ ا۔مکمل کرُن۔پوٗرٕ پاٗٹھی اَندواتناوُن۔۲۔ترٚبیتھ۔تاٗلیم۔۳۔رٟتھ یا رَسم بیترِ۔رِواج پاٗلُن۔

سَمَن:-(م۔مۆل:سَمَن <اَنگ:سمَن Summon) عدالتُک اِطلاع نامہٕ۔عدالتِچ نارٕ چیٖری۔

سَمَنٛدر:-(ن۔مۆل:سَمنٛدر <س:سَمُدر)۔ا۔سۆدُر۔سبٹھاہ بوٚڈ آبہٕ سَر ییٚمیُک اپاٗر ییٚم بوٚٹھ نظرِ چھنہٕ یوان۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) ۆسی۔سَنہِ سۆن۔

سَمے:-(ن۔مۆل: سَمے <س:سَمیَہ)۔ا۔وَقت۔وِز۔ ۲۔موقہٕ۔یوسہِ وِزِ مُقرر آسہِ۔عاٗنِ وَقت۔ ۳۔زمانہٕ۔۴۔کُنہِ کامہِ وار وبستار۔آدن۔ ۵۔(ورگہٕ پاٗٹھی) مَرن وِز۔

سَمے واتُن:-ا۔کُنہِ کامہِ بیترِ وَقت واتُن۔موقہٕ واتُن۔ویلہٕ واتُن۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) مَرن وِز واتٕنۍ۔اَجل واتُن۔

سَمیَس دور کرُن:-پٔنٕن وَق دَبہٕ دَبہٕ سان کڈُن۔تِتھ پاٗٹھی وَق گذارُن یتھ سِکہٕ ہیٚنہِ۔

سَمیاہ:-سبٹھاہ کال۔

سَما ا:-(<؟س:سَمَہ) تباٰہی۔وُجاٗری۔یرٕ وٕنی ناو۔ م:طمہس گوھٕنس سما۔

سَما ۲:-(ن۔مۆل:سَما <ع:سَما) آسمان۔نَب۔

سَماپتھ۔سماپھ:-(ن۔مۆل:سَماپت <س:سَماپتہ)

ا۔ختم۔اَند ووت مُت ۔۲۔اَند ۔انجام۔خاتمہٕ۔

سَماج:۔(ن۔مۆل: سماج <س: سماجہٕ ) سوسایٹی ۔ لۆکن ہُند یِکہٕ وَٹہٕ لُسُن بَسُن تہٕ سرود بن رَسمہٕ رِواتن پابند آسُن۔

سماج واد:۔سماجُک سُہ نظام یَتھ اندر سارنے لسنکی بسنکی ہوی حق مانہٕ یِن تہٕ کانٛسہٕ آسہِ نہٕ بیٚیہٕ کانٛسہٕ ننتھ ہینگ اجازتھ۔

سماجت:۔(<س: سماجہ)۔ برادری ۔بأے بنٛدُت اِتفاق ہِشر آسُن۔

سَماد:۔(م۔مۆل: سَماد <س: سَمادھ)۔ا۔مَحو گژھنٕچ حالتھ لیٚن گژھُن ۔۲۔اَسترٕ کہٕ بیترٕ دَفن کرنٕچ جاے۔ سو جاے یَتٛیتھ کانٛسہٕ مہاتما سُند شو یا تسنزٕ اَسترٕ کہٕ دوبہٕ راوِتھ آسَن۔

سماع:۔(ن۔مۆل: سما <ع: سماع) گیوٚن بوزُن۔ گیوٚن مجلس (خاص کر صوٗفیانہٕ کلامٕچ)۔گیوٚنٕچ محفل۔محفلِ مۆسیقی۔

سماگم:۔(ن۔مۆل سماگم <س: سماگم)۔ا۔ پانہٕ وٲنٛی کتھاباتھا کرنہٕ باپتھ سَمُن ۔۲۔ اَکھاَکس نِش یِن گژھُن ۔اکھ اَکس سٟتی ووتھن یُن ۔ ۳۔ووشواکرنہٕ باپتھ سَمُن۔

سماں:۔(مۆل:سَمان <س:سَمانہٕ)۔ا۔اکہٕ قسمُک ہوا یُس اَندرمَن منز آسان چھُ تہٕ کھنٛن بیترٕ شرٛوپراونس منز مدد دِوان چھُ ۔۲۔برابر۔ہیٚوٗ ہ۔

سماوار:۔(ن۔مۆل: سماوار <روٗسی: سماوار)۔چاے بناونہٕ باپتھ ہی دار اکھ بانہٕ یَتھ نارٕ باگیہ اَندر تیونگل تژاوان چھِ۔

سماہ:۔(ن۔مۆل:سَماہ <؟س:سَمہٕ) طمع نہٕ برابر یُن۔ مِ: طَمہس گوس سماہ۔

سماہ گژھُن:۔طمع تہٕ جمع یُن۔شرنہٕ نیرُن۔

سَمٕج:۔(م <پراکرت : سمو جھ ۔س: سَم+ بُدھ۔م، ہ: سمجھ)۔ بوزٕ شوژٕ۔ بود گاٹہٕ ۔کانٛہہ کتھ فِکرِ ترنُک حِس۔عقل۔فہم۔

سَمٕج دار:۔گاٹُل ۔یُس کتھ ژٕلی فِکرِ ترٕ۔عاقل۔دانا بوزٕشوژٕوول۔

سَمہٕ دژیٚشٹ:۔وُچھو "سوم" لفظس تَل۔

سَمہٕ ژار:۔(ن۔مۆل:سَمہٕ ژار <س:سَمہٕ+ژٕر (چار) سَمُت ۔مِلہٕ ژار۔اِتفاق۔میل ملاپ۔برادٔری۔ یِکہٕ وَٹہٕ روٗزِتھ لُسُن بَسُن۔

سَمہٕ ژار تھوٗن:۔پانہٕ وٲنٛی اِتفاق تھوٗن۔ برادٔری تھوٗنی۔

سَمہٕ ژار گژھُن:۔اَکھاَکس سٟتی مِلہٕ ژارٕ سان روزُن۔ یِکہٕ وَٹہٕ لُسُن بَسُن ہیوٗن۔

سَمہٕ ژار نیرُن:۔برادٔری روزٕنی ۔نااتفاقی نہٕ گژھنی۔ اَکھاَکس سٟتی ہِشر روزُن۔یٚنٛبرنہٕ پاد گژھُن۔ گرٕس اندرنہٕ پھاس پیوٚن۔

سَمہٕ ژٲرۍ:۔یُس اتفاقہٕ سان روزِ۔یُس اَکس بیٚیس سٟتی ہِشر آسہِ۔

سَمت :-(ن۔مؤل: سَمت <س: سَمتو)۔ا۔کُنہِ مقصدِ باپتھ واریاہن لۄکن ہُنٛد اَکس جایہِ جمع سپدُن۔ ۲۔اتفاق۔مِلہٕ ژار۔۳۔ربط۔

سَمتو کرُن :- یکہٕ وَٹہٕ رٔلتھ کُنہِ کامہِ بیترٕ دس تُلُن۔ ہلہٕ کرُن۔

سَمن :-(ن۔مؤل: سم <س: سَمیَتہِ/سَمہِ کہ)۔ا۔جمع سپدُن۔ اَکس جایہِ یکہٕ وَٹہٕ گٔرتھ روزُن۔ اَکہٕ اَکہٕ یا پپٹتہٕ پپٹتہٕ سۄمبرنہٕ یُن۔مِ: آب سَمن۔۲۔سۄمبرنہٕ یُن۔ بجتھ سپدُن۔مِ: روپیہ سَمتہٕ۔۳۔سارِنے ہُنٛد کُنہِ مجلسہِ بیترٕ باپتھ اَکس جایہِ واتُن۔مِ: لُکھ سَمۍ۔۴۔بتھ دِتھ ہکُن۔مِ: بتھ سَمن۔مِ: سَمۍ۔

سَمان سَمان سۍ :- پیاپے ناکارٕگی کرنہٕ پۄژھی بلاے سۍ۔شامتھ سۍ۔چوبن پٹھ وۄرٕ واتنۍ۔

سمۄر :-(ن۔مؤل: سمۄر <ع: سمور)۔اَکس جاندارٕ سُنٛد (مۄلُل) مُسلہٕ یُس پۄستینہٕ بیترٕ لگان چھُ۔

سَموسہٕ :-(ن۔مؤل: سموس <ف: سنبوسہ)۔اکہِ قسمُک کرایہ پاکھ۔ اُٹس ملنٛدٕ دِتھ بناوٕ مترٕ کۄنل گوژر ہش۔یتھ اندر اَلو، مٹر، گرم مصالہٕ بیترٕ بران تہٕ پتہٕ تیلس بیترٕ پٹھ تلان چھِ۔

سَمبر :-ا۔سۄم آسُن۔ہموار آسُن۔۲۔ہشر۔برابری۔

سَمبل :-(م۔مؤل: سَمبل <پراکرت: سَبَلہ) سُمبکی پأٹھی پیۆت کٔرتھ مۄٹ شُستروٕ ڈَنٛڈ یِمہِ سۍ پَل بیترٕ پھران یا پھُٹران چھِ یا یِمہٕ سۍ کُنہِ گۄڈٕ بس چیزس اَر کران چھِ۔

سَمبنٛد :-(ن۔مؤل: سَمبنٛد <س: سَمبنٛدھ)۔ا۔واسطہٕ تولُق۔واٹھ۔۲۔آشنأوی۔رِشتہٕ۔

سَمبالُن :-(ن۔مؤل: سَمبال <س: سَمبھرنہٕ)۔ ا۔وَتہٕ اَنُن۔سیزراوُن۔۲۔شیرُن۔مرمتھ کرُن۔ٹھیکھ کرُن۔۳۔(بے ہوش گۄمت بیترٕ) حبسہٕ اَنُن۔سَنٛدارُن۔سنٛدارناوُن۔۴۔دَم بیترٕ سنٛدارُن۔۵۔دِلاسہٕ دیُن۔مَتھٕ مدارٕ کرُن۔ لَیہٕ اَنُن۔۶۔وۄسکی پینہٕ نِشہِ بچاوُن۔۷۔شیرتھ تھاوُن۔رٔچھتھ تھاوُن۔ وارٕ پأٹھی تھاوُن۔ (ہرز) کھتیرٕ۔

سَمبأنٛلتھ پکُن :-ا۔وۄچھتھ پکُن۔حبس تہٕ ہوش کرُن۔ احتیاط سان کانٛہہ کأم بیترٕ کرٕنۍ۔ ۲۔لۄکن سۍ رٔچھتھ پکُن۔کانٛسہِ سۍ نہٕ راوُن۔

سَمبأنٛلتھ تھاوُن :- چیز بیترٕ تُلِتھ تھاوُن۔تِژھہِ جایہِ تھاوُن ییٚتہٕ نٔس نہٕ پھٹہٕ تٔک یا راوتٔک خطرٕ آسہِ۔ وارٕ پأٹھی تھاوُن۔

سَمبلاوُن :-(ن۔مؤل: سَمبلاو) حبسہٕ پھرُن۔ بانٛڈ بیترٕ ژٔلراوٕنۍ۔سمبالُن۔

سَمبلُن :-(ن۔مؤل: سَمبل <س: سَمبھرنہٕ)۔ا۔وَتہٕ یُن۔سَنٛدارُن۔سبدُن۔۲۔حبس یُن۔حبسہٕ پھیرُن۔گأیلہٕ بیترٕ گۄژھتھ ہوش یُن۔

سَمپَد :-(م ـ مؤل: سَمپَد <س: سَمپَد ) آسُن بَسُن ـ مال دولتھ ـ بساو ـ

سَمپَدا :-(م ـ مؤل: سَمپَدا <س: سَمپدا) وُچھو "سمپَد"

سَمپاتھ :-(ن ـ مؤل: سَمپات <س: سَمپاتِہ ) اَکھ گرِدِ سُنٛد ناو، یُس رامائنس اَندر اَکھ کردار چھُ ـ

سَمجاوُن :-(ن ـ مؤل: سمجاو <س: سَم+ بُدھ ) ـ ا ـ فِکرِ تارُن ـ بیہناوُن ـ ۲ ـ مَد یا ژکھ بیترِ وٲلنۍ ـ ہوٚمراوُن (کانٛسہِ ہُنٛد شرارتھ بیترِ ) ـ

سَمجُھن :-(ن ـ مؤل: سَمج <پراکرت : سَموجھ <س: سَم+بُدھ ) ـ فِکرِ ترُن ـ بوٚزاتُن ـ دِماغس منٛز یِن ـ بوٚزمنٛز یِن ـ

سَمنٛد :-(ن ـ مؤل: سَمد <ف: سَمند ) ـ (گُرِ سُنٛد ) اَکھ رَنٛگ ـ کرٛہنیارِ سان ووزلہِ رَنٛگہِ ـ

سَمسار :-(ن ـ مؤل: سَمسار <س: سَمسار) ـ ا ـ دُنیا زَگتھ ـ عالم ـ ۲ ـ زمانہِ ـ ۳ ـ (ورگہِ پاٹھۍ ) لوٗب ـ طمع ـ لالچ ـ

سَمسٲرۍ :-(<س: سَمسٲرۍ ) ـ ا ـ سُہ یا یُس یتھ دُنیہس اندر آسہِ ـ ییمہِ دُنیہِ ہُنٛد ، یتھ دُنیہس اندر روزُن وول ـ ۲ ـ یُس یتھ دُنیہس لور آسہِ ـ دُنیٲوی ـ ۳ ـ دُنیادار ـ گرٛہستھ ـ

سَم سوٚتُر :-(ن ـ مؤل: سَم سوٚتر <س: سَم+ستر ) ـ پھُٹنۍ پھاکھ ـ اَنٛدِ وَنٛدِ تبٲہی ـ لُرِ پار ـ ڈُبہِ ڈاس ـ ووتھِ وار ـ

سَم سوٚتُر کرُن :- ڈُبہِ ڈاس کرُن ـ لُرِ پار کرُن ـ

سَم سوٚتُر گژھُن :- اَنٛدِ وَنٛدِ تبٲہی گژھنۍ ـ بربٲدی گژھنۍ ـ ووتھِ وار گژھُن ـ لُرِ پار گژھُن ـ

سَم سوٚتُر مِلہِ وُن :- لُرِ پار کرُن ـ ووتھِ وار کرُن ـ بیاری ہے وٲرٲنی کرِنۍ گنہِ نہِ کینٛہہ تھوٚوُن ـ پھُٹنۍ پھاکھ کرُن ـ تاراج کرُن ـ

سَمشٔے :-(ن ـ مؤل: سَمشے <س: سَمشَیَ ) شکھ پھیہہ ـ

سَمکھاوُن :- ا ـ مُلاقات کرناوُن ـ مِلہِ ناوُن ـ ۲ ـ کانٛہہ بُتھِ پاوُن (خاص گرِتھ یُس زبردست آسہِ ) ـ م: اگر پلسہِ وول سمکھاونے اِدتری فِکرِ ـ

سَمکھُن :-(ن ـ مؤل: سَمکھ <س: سَماکھیٚاتِہ/ سکشہ ) ا ـ (کانٛہہ ) بُتھِ پیوٚن ـ (کانٛسہِ ستۍ ) مُلاقاتھ کرُن یا سپدُن ـ میٚل گژھُن ـ ۲ ـ گدرُن ـ سَرِ گژھُن ـ ۳ ـ بناوتھ پیوٚن ـ ۴ ـ زور ہاوُنۍ ـ ۵ ـ ماتم پُرسی کرِنۍ ـ تاٰزی یتس گژھُن ـ

سَمکھنہِ گژھُن :- ماتم پُرسی کرنہِ گژھُن ـ ماتم پُرسی کرِنۍ ـ تاٰزی یتس گژھُن ـ تاٰزی یتھ کرِنۍ ـ

سَموتھ :-(ن ـ مؤل: سَموت <س: سَموت ) ـ (بکرمی بیترِ حسابہٕ) دہِیسی سَنہِ ـ

سَمواد :-(ن ـ مؤل: سَواد <س: سَمواد ) ـ ا ـ پانہِ وٲنۍ کتھ باتھ ـ شیچھ بود ـ خبر اَتر ـ ۳ ـ روداد ـ قصہِ ـ ڈلیل ـ

سَمہار :-(ن ـ مؤل: سمہار <س: سَمہار ) ـ ناش ـ

ٹوٚٹھ۔ پھُٹنۍ پھاکھ۔

سَمہأرِ بأرَو:۔سَہ دِوتایُس ناش کران چھُ۔یُس سوٚرے ختم کرِ۔

سَمہأرِ:۔(مؤل: سَمہأرِ > س: سَمہأرِ) یُس ناش کرِ۔یُس تبأہی پھألاوِ۔یُس ٹوٚٹھ اَنہِ۔

سَموگ:۔(ن۔مؤل: سموگ > س: سموگہ)۔ ا۔مێل۔مُلاقاتھ۔۲۔اِتفاق (کٹنگ) کانٛہہ خاص واقہٕ۔

سَن:۔(م۔مؤل: سَن > س: سَنٛدھ۔م،ہ: سینٛدھ)۔ ا۔مکانس بیترِ اُژِتھ کرنہٕ آمژ ژوٗر۔۲۔ژوٗرِ مال۔ژوٗرِ نِمتۍ چیز بیترِ۔

سَن دِنۍ:۔ژوٗر کرٕنۍ۔ژوٗرِ ہنٛدِ باپتھ بوٚر پڑاٹھن۔پھرُن۔ مکانس بیترِ منٛز ژوٗرِ اُژِتھ مال ہیتھ ژُلن۔

سَن لَدٕنۍ:۔ژوٗر رَمہِ کھارٕنۍ۔

سَن نیرٕنۍ:۔ژوٗرِ ہنٛد پَے نیرُن۔بُرگ نیرُن۔ ژوٗرِ نِمتہِ چیزُک نِشانہٕ نیرُن۔

سٕنۍ بارَو:۔ا۔سوٚتوٚرے بیترِ ییمہِ ستۍ ژوٗرٕنۍ گوٚڈھ۔ ۲۔کانٛسہِ نِش کٔڈنہٕ آمت تیٚتھ کانٛہہ پَے پتاہ ییمہِ ستۍ باتہِ ژوٗرٕنۍ نیرِ۔۳۔ژوٗرِ مالَس شرٛپنکی راد۔

سٕنۍ بُرگ:۔ا۔ژوٗرِ ہنٛد نِشانہٕ۔ژوٗرِ ہنٛد پَے۔ ۲۔تیٚتھ کانٛہہ ژوٚبوٚتھ ییمہِ ستۍ ژوٗرٕنۍ نیرِ۔

سٕنۍ بوٚر:۔لبہِ یا دیوارس بیترِ پڑانہٕ آمت وُل یِپأرۍ ژوٗر اژِ۔

سٕنۍ ژوٗر:۔ا۔ژوٗر یُس سَن دِیِہ یُس سَن دِتھ ژوٗر کرٕنۍ پیشہِ آسہِ۔۲۔(ورگہِ پأٹھۍ) ماشوق۔

سَند:۔(م۔مؤل: سَنٛد > ع: سَند)۔ا۔سَہ لِکھٕت یُس کانٛہہ اِمتحان بیترِ پاس کرَن وألِس دِنہٕ یوان چھُ۔کُنہِ کارگزأری بیترِ ہنٛد لیکھِت ثوٗبوٗتھ۔ سارٹفیکیٹ۔پرٛمانہٕ ووٚتُر۔(کُنہِ کتھِ ہنٛد یا داوِ ہنٛک) دستاویزی ثوٗبوٗتھ۔سَہ دستاویز یتھ کانٛسہِ مجاز شخصَن تصدیق آسہِ کوٚرمٕت

سَنسکرت:۔(ن۔مؤل: سَنسکرت > س: سَنسکرِتہ) ہِندستانٛچ اَکھ آریأیی کلاسکی زبان۔

سَنا، برگِ سَنا:۔(ن۔مؤل: سَنا > ع: سنا) اِکہِ قسمُک پَنہٕ دٔتھر یُس جولابَس لگان چھُ۔

سَناتَن:۔(ن۔مؤل: سَناتَن > س: سَناتَنہ) یہِ پتہٕ وَتھ آمت آسہِ تہٕ سوٚرِنہٕ۔اَزلہٕ پتھ اَبدس تام پوٗشہِ وُن۔اَبدی۔

سَناتَن دَرم:۔(ن۔مؤل۔سناتَن دَرم > س: سَناتَنہ+دھرمہ)۔ا۔دوہے پوٗشہِ وُن دَرم۔۲۔رِوایتہٕ یامُری یادامؤجوٗب ہێنٛد بن ہُنٛد دَرم۔

سَنٛسی:۔(م۔مؤل: سَنٛس > س: سَند مشکا۔م،ہ: سَنٛسی)۔ توٗت چیز ژلنہٕ باپتھ لوٗگٹ چُمٹہٕ۔

سَنہِ پوٚتُل:۔(ن۔مؤل: سَنہِ پوٚتُل > س: سَنانہ+پُتّل) ا۔لِنگہِ شکلہِ) اَکھ کتریٚو پوٚتُل یتھ پوٗزا کران چھِ۔(ورگہِ پأٹھۍ) بوولہٕ، سِدٕ بوٗٹۍ۔

سَنہٕ دان:۔(مؤل:سَنہٕ دان <س:سَنتدھانہٕ) بروٗنٛتھ کنہِ۔بُتھِ سیوٗد۔ٹاکارٕ ہیوٗہ۔(کُنہِ) نزدیکھ، ستی۔اَکھاَ کِس ستی ستی۔

سَنہٕ واس:۔(ن۔مؤل:سَنہٕ واس <س:سَنواس) ا۔رنٛگ آگُر۔۲۔شوسُند اکھ وَصفی ناو۔

سَنہٕ واَر:۔اَر۔(م۔مؤل:سَنہٕ وار <س:سَنانہٕ+وار) ا۔لوکٕٹ کترِ وواَر یتھ اَندر ژھوکرس باوُن کُیت پونٛی بران چھِ۔(ورگہٕ پاَٹھی) سوژٕنی یوسہٕ (ہنٛگس دِتس یا ورتاوس منٛز) یوٗرِ گےٚ رٹان آسہِ تہٕ اورٕ آسہٕ نہٕ کانٛسہِ کینٛہہ دِوان۔

سَنہٕ۱:۔(ن۔مؤل:سَن <س:سَنپاتہٕ) واَنٛج ژھوکنٛچ سو حالتھ یتھ منٛز انسان نہٕ زنٛگہٕ داَری داَری دِوان چھُ۔سَکتہٕ۔

سَنہٕ داَرِتھ دیٚن:۔واَنٛج ژھوکنٛچ حالتھ گژھٕنی۔سَنہٕ گژھُن۔

سَنہٕ گژھُن:۔ا۔واَنٛج ژھوکنٛچ حالتھ گژھٕنی۔۲۔(ورگہٕ پاَٹھی) صدمہٕ گژھُن۔

سَنہٕ۲:۔(ن۔مؤل:سَن <ع:سَنہٕ)۔ؤری حِسابہٕ گزٕنٛد۔ؤری یَن ہنٛز گزٕنٛد۔سَموَتھ۔

سَنہٕ دٔقیانوسک:۔سیٹھاہ پرون۔پرٛانہٕ وقتُک۔پتھ کالُک۔

سَنہٕ۳،سَنا:۔(مؤل:سَن <س:سَن) دپٕ۔شاید۔م:کیٛاسَنا۔

سَنہٕ واتھ:۔(م۔مؤل:سَنہٕ وات <ع:صلواۃ)۔ا۔نوٚو کانٛہہ رَسم یا رِواج۔کانٛہہ نوٚو روش۔نوٚو کانٛہہ حساب۔۲۔نوٚ وتھ۔

سَنہٕ واتھ کڈٕنی:۔نوٚو کانٛہہ رِواج کڈُن۔نوٚو کانٛہہ رٕہتھ کڈٕنی۔

سَنہٕ واتھ نیرٕنی:۔نوٚو روش نیرُن۔نوٚو رٕہتھ جاری سپدٕنی۔

سَنُن:۔(ن۔مؤل:سَن <دُپھو"سوُن")۔ا۔یون وَسُن۔۲۔(نرم زمیٖنہِ بیترِ) وَستھ گژھُن۔۳۔کُنٛیک مازٕ س پتھ دباو پیوٚن۔کُنہِ ستی مازٕ دَبُن۔۴۔کُنہِ کتھہِ ہنٛدِس ژٕکِس واتُن۔کُنہ چیزِس پتھ وارِ پاٹھی سوچُن۔پوٗرٕ پاٹھی غور کرُن۔۵۔دود بیترِ جسمَس اَندر گرٕ کرُن۔م:چتھ سَنُن۔۶۔(کتھ بیترِ) دِلس کھنہٕ یُن۔م:سَنِتھ گوس زِکھٕنِتھ گوس۔

سَنِتھ گژھُن:۔سَخ اثر کرُن۔(دِلس) بہُن۔دِلس منٛز جاے کرٕنی۔

سَنبر:۔(ن۔مؤل:سَنبر <س:سَنہٕ)۔ا۔سوٚن آسُن۔پانٛہیٖن علاقَس کُن آسُن۔۳۔تھاہ۔۴۔سنٛجیدگی۔

سَنٛز:۔(م۔مؤل:سَنٛز <س:سَنانہٕ) (ہیٛنٛد بِن ہُنٛد اکہٕ رَسمہٕ موٗجوٗب سُلہٕ صُبحاُے) ژھوکرس پونٛی باوُن۔

سَنٛزٕ ہتھ۔سَنٛزٕ ہتھ:۔(ن۔مؤل:سَنٛز ژہت <س:سَنٛچِتہٕ)۔یہٕ سو مبرُت آسہِ۔سَرمایہ۔وِیٛژ پوٗژ۔یہٕ پتھ پلہٕ کوٚر رمُت آسہِ۔

سَنٛت:-(ن۔مؤل:سنت<س:سَنتہ) ساد۔دَرویش۔ فُقیر۔

سَنٛتا پھ:-(ن۔مؤل:سَنتاپ<س:سَنتاپہ)۔دوکھ۔ پریشانی۔مُصیبتھ۔تکلیف۔

سَنتان:-(ن۔مؤل:سَنتان<س:سنتانہ)۔اَولاد۔ شُر مُر۔

سَنٛٹرؠ:-(ن۔مؤل:سَنٛٹرؠ<انگ:سینٹری Sentary)

ا۔سپاہ۔۲۔راۓ چھراوٗتھ کرن وول۔راۓ چھدر۔

سَنٛتُشٹ/سنتوشٹ:-(مؤل:سَنٛتُشٹ<س:سَنٛتُشٹہ) مُطمٔن۔تزپتھ۔سیر۔خوش۔

سنتوش:-(ن۔مؤل:سنتوش<س:سنتوشہ)۔ژبٕڑ۔ قناعت۔کم ہے پٹھ گُذارٕ کرُن۔

سَنتوشی:-(<س:سنتوشی) یُس قناتھ کرِ یُس کم ہے پٹھ راضی آسہِ۔

سَنٛد۱:-(م۔مؤل:سَنٛد<س:سَنٛدھ) مٟیل۔مِلاپ (دون دُری یاوَن یادون وَقتَن ہُنٛد)۔

سَنٛد۲:-(م۔مؤل:سَنٛد<س:سَم دھی) تاٗلیم۔(سبق بیتر)دُرراوُن۔

سَنٛد پَنٛد لَگٕنۍ:-(شُر بیترِ) کھِنگرِ کھارنہٕ یِن۔ن کھس کھورمُت آسُن۔دَر ؤمت آسُن۔

سَنٛد دِنۍ:-دُرراوُن۔تاٗلیم تہٕ تاٗلیم کرٕنۍ۔پھری پھری پرُن۔گوٹہٕ کرُن۔

سَنٛد کرٕنۍ:-ا۔ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ وَنُن ۔ تاٗلیم کرٕنۍ۔

۲۔ورتاوُن۔گوٹہٕ کرُن۔

سَندار:-(ن۔مؤل:سَندار<س:سَم+دھار)۔ا۔حبسہٕ پھیرُن۔۲۔نۆسَرٕ ترتیب۔۳۔نۆسَرٕ گُذار۔

سَنداوُن:-(ن۔مؤل: سَندار<س:سَم دھارنہ)۔ ا۔بَلُن۔بیمارٕ بیترٕ تلہٕ پھیرُن۔۲۔نارٕ مارٕ یا بڈٕ نوقصانہٕ پتہٕ بیٚیہ گُذارٕ کرُن۔سمبلُن (کُنہِ نوقصانہٕ پتہٕ)

سَندانہٕ:-(ن۔مؤل:سَنٛدان<س:سمدھانہٕ)۔

ا۔یِرَن یتھ پٹھ کھار شستر دگان چھُ۔۲۔مۆ چھ سُند سامانہٕ یتھ پٹھ سہٕ کھور بانَن کٕلی بیترٕ دِوان چھُ۔

سَنٛدٕلی:-(م۔مؤل:سَنٛدٕلی<ف:صندلی)۔ڈاکر یتھ اَندر کانٛدُر ژٕ وچہٕ تھَوان چھُ۔

سَندیش:-(ن۔مؤل: سندیش <س: سَنٛدیشہ)۔ شٟچھ۔پاٗغام،خبراَتر۔

سَنٛدیا:-(م۔مؤل:سَنٛدیا<س:سَنٛدھیا)۔ا۔شام۔ شامُک وَق۔۲۔ پۆزا یوسہٕ ژٕ وَق زَلَن وِزِ صُبحس شامس کران چھِ۔

سَنٛز:-(ن۔مؤل:سَنٛز<س:سَجیہ)۔ہر گر۔(کُنہ کامہٕ ہُنٛز)تیاٗری۔

سَنٛزس لَگُن:-ہر گر کرُن ہیوٚن۔تیاٗری کرٕنۍ۔ سِلاح سامانہٕ چارُن۔

سَنٛز سامانہٕ:-پۆرٕ تیاٗری۔

سَنٛز کرُن:-تیاٗری کرٕنۍ۔سِلاح سامانہٕ گنٛڈُن۔

سَنکٹھ (ن۔مؤل: سَنکٹ <س: سَنکٹہ)۔ بوحران ۔ سختی مُشکل۔

سَنکٹہٕ ژورَم:-(م۔مؤل: سَنکٹہٕ ژورَم <س: سَنکٹہَ چترتھی)۔ ماگُنہٕ گٹہٕ پچھ ژورَم یمہٕ دوہہٕ گنیش سنٛز پوٗزا کران چھِ۔

سَنکٹھ بوٗگُن، تلُن، یُن:-سختی ینٛز ۔مُشکل درپیش یُن ۔تکلیف تلُن ۔سختی تلٕنۍ۔

سَنکٹھ وولہٕ گُن:-۔بوحرانہٕ منٛز نیرُن۔

سَنکلپھ:-(ن۔مؤل: سَنکلپھ <س: سنٛکلپہٕ)۔ ا۔اِرادٕ ۔قصد ۔۲۔کُنہٕ کُن خیال ۔گل ۔مِنےٚ چھُ تور گژھُنٕک سَنکلپھ ۔۲۔رائے دِلکی بخاراتھ۔

سَنکلپھ کرُن:-منساوُن۔

سَنکادیکھ:-(ن۔مؤل: سَنکادیکھ <س: سنٛکادِکہ) بَرماہنٛدی ژور سَنتان اسنک، سَنندن، سَناتَن تہٕ سَنت کُمار۔

سَنکٕلی:-(م۔مؤل: سَنکلی)۔اَکھ گاسہٕ ذاتھ، اَتھ چھِ دانہٕ داروٗتھر آسان۔

سَنگ ا:-(ن۔مؤل: سَنگ <س: سَنگہ) ۔ا۔میُل مِلاپ۔ رَلُن۔ ۲۔ اَکھ أکِس ستی ہشر۔ ۳۔ نَرس تہٕ ماذِسُند اَکھأ کِس ستی میُل۔

سَنگہٕ ہِنٛدی رَنگ:-نٔخرٕ ۔پأتھر ۔واریاہ بتھر۔

سَنگہٕ دوٗش:-کو صوحبتھ۔

سَنگ کرُن:-ا۔ ہم بستری کرٕنۍ ۔صوحبتھ کرٕنۍ۔ ۲۔میُل گژھُن ۔رَلُن۔

سَنگ ۲:-(ن۔مؤل: سَنگ <ف: سَنگ) ۔ا۔کَنۍ۔ ۲۔(تزکرِپأترٕ بن ہیتر) اَکھأ کِس ستی نابرابری۔ تول نہٕ برابر آسُن۔

سَنگِ اَسود:-ا۔کرٛہنۍ کَنۍ ۔۲۔خانہٕ کعبٕچ سو کرٛہنۍ کَنۍ یتھ حأج بوسہٕ دِوان چھِ۔

سَنگِ بَسوتری:-زرٕد رَنگہٕ اَکھ کَنۍ یوسہٕ دوہَس لگان چھےٚ۔

سَنگِ بِلور:-سو ژھکہٕ کَنۍ ۔سفید رَنگہٕ اَکھ کَنۍ یتھ گاش تران چھُ۔

سَنگِ بُنیاد:-سو کَنۍ یوسہٕ کُنہٕ مَندورِیا کارخانس بیترِ کنِس تل تراونہٕ ییہ ۔کٔنٛج کَنۍ۔

سَنگِ بُنیاد تژاوٕنۍ:-ا۔گُن دیُن ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) دَس تُلُن ۔کأم شوٗروٗ کرٕنۍ۔

سَنگِ پارس:-سو کَنۍ یمہٕ چہ چھہہٕ ستی دپان شُسترس سون بنان چھُ۔

سَنگِ خارا:-سخت کنہٕ پَل۔

سَنگِ دِلم:-اکھ قیمتی کَنۍ یوسہٕ ژٔپأٹھی سونرن لگان چھےٚ۔

سَنگِ رَتیل:-بادٕمی رَنگہٕ اکھ کَنۍ۔

سَنگِ سیاہ:-کرٛہنہٕ رَنگہٕ اَکھ کَنۍ۔

سَنگِ سُلیمان:-سفید رَنگہٕ گُرتھا اَکھ کرٛہنۍ کَنۍ۔

سَنگِ سِمک:-سبز ٹیچہ گُرتھا اَکھ بٔج کَنۍ۔

سَنگِ سورٕخ:-ووزلہٕ رَنگہٕ اَکھ کَنۍ۔

سَنگِ شالہ مأر:–سبز رَنگ گرتھ اَکھ کنی۔
سَنگِ فَرش:–سِلیہٕ کنی۔پأترِ کنی۔
سَنگِ مرمر:–سفید رَنگہٕ اکھ موجٕ کنی۔
سَنگِ مزار:–پیوٗر۔سوکنی یوسہٕ قبرِ پٮ۪ٹھ تھوان چھِہ۔
سَنگِ میل:–ا۔میلہٕ پٔٹ۔سوکنی یتھ پٮ۪ٹھ سڑکہٕ ہنز میلہٕ گژھند درٕج آسہٕ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) کانٛہہ اَہم پڑاو۔(کُنہٕ کامہٕ ہیتہٕ منز) اِمتیأزی مقام۔
سَنگِ بَدپد:–اکھ قسمُچ کرٕیہنہٕ رَنگہٕ کنی۔
سَنگ چلچن:–اَکھ مَلأیم کنی یتھ پیالہ تہٕ لوٗکٕٹ تماشہٕ ہیترٕ بناوان چھِہ۔
سَنگ یَشم۔سنگیشم:–اکھ مولجہٕ کنہٕ ہُند ناو۔
سَنگ آسُن:–تول نہٕ برابر آسُن۔ترٕکرٕ ہُند اکھ پوٗتُر ہیوٗر تہٕ بیاکھ بون آسُن۔ڈنٛڈ نہٕ برابر آسٕنی۔ پارسنگ آسُن۔
سَنگ پاے:–ا۔کھورٕ بن تہٕ تلہٕ پدٕ بن مَل تچھنہٕ باپتھ کنٛترٕ یوٗ ہیترٕ اَکھ پھُھر سامانہٕ۔۲۔پُشتِ پاے۔کھورن ہنٛز اکھ بیمأری۔۳۔وأنِس اَندر دالٕدٕ ن ہُند بےسوٗم آسُن۔آلُس لٲگی تہٕ دالٕد زنہٕ قدٕ کنی برابر آسٕنی۔
سَنگ تراش:–ا۔کُنہٕ کأم کرُن وول۔کٹاس۔ ۲۔سُہ یُس کنٛہن چیز گران آسہٕ۔یُس کنٛہن مُرٕ ژ ہیترٕ گران آسہٕ۔
سَنگ دِل:–سُہ یُس دِل کنی ہیوٗہ سخت آسہٕ۔یُس ووٗنٛد وٕ تھ ہیوٗہ آسہٕ۔یُس نہٕ آر ییہٕ۔بےرحم۔
سَنگ دِلی:–بےرحمی بےاِنصأفی۔آرٕ نہٕ یُن۔
سَنگ ریز:–نیٛک کنہٕ پھوٚل۔
سَنگ سار:–کنہٕ کنہٕ۔
سَنگ سار کرُن:–(مُجرم) کنہٕ کنہٕ کرُن۔اَڈٕ اَڈٕ کڈُن۔
سَنگ ساز:–ا۔کنٛز گرن وول۔۲۔سُہ کأرگر یُس چھاپہٕ وِزِ پلیٹس غلطی ہیترٕ شیر۔
سَنگتھ:–(م۔مؤل:سَنگت <س:سَنگتہٕ)۔ا۔موحبتھ۔یکوٹہٕ آسُن یاروزُن۔۲۔ساتھ۔(موسیقی ہیترٕ منز)
سَنگم:–(ن۔مؤل:سَنگم <س:سنگمہٕ)۔ا۔(دون دٕریاوَن ہُند) میُل۔یتھ جایہٕ زٕ کولہٕ رٕلن۔سَنٛد۔پرٕیاگ۔۲۔مرازعلاقس اندر وٮ۪ہجہٕ برارِ نکھہٕ اکہٕ جایہٕ ہُند ناو یٮ۪تھ ناوٮ۪تھ وٮ۪شو تہٕ وتھ رلان چھِہ۔
سنٛگاٹھ:–(ن۔مؤل سنٛگاٹ <س:سنٛگھاٹہٕ) سامانہٕ سوگاٹھ۔گرویتھ۔سامانہٕ اَسبابہٕ۔لوہ لنگر۔
سنٛگاٹھ کرُن:–(سامانہٕ سوگاٹھ تُلُن۔سامانہٕ تہٕ تُلنہٕ باپتھ وٕتُن (سفرس ہیترٕ نیرنہٕ وِزِ)۔
سنٛگری/سَنگہأری:–(م۔مؤل:سنٛگری <س:سنکٹہٕ)۔ اکہٕ بوٗٹہٕ ہُند ناو یوسہٕ یٔژ پأٹھی بالہٕ دامٕنن وو پدان چھے۔
سنٛگر:–(ن۔مؤل:سنٛگر <س:سنکٹہٕ)۔بال۔کوہ۔پہاڑ

سنگرژٹتھ ینگر:-(ل۔م) کوہ پڑاُٹتھ یا ٹے گرتھ پتھ کُن ژنہِ اتھِ پنہِ۔ تہٕ ڈپتھ گوزُو ژٹتھ تہٕ سبٹھاہ کم لارُن۔

سنگر مالہٕ:- کوہہ مالہٕ۔ کوہہ تیپتاٹھ (یم اکھاُکس ستۍ رلان ہی بوزنہٕ یوان چھِ)۔

سنگر مالہٕ پھولہٕ وُن:- صُبحہٕ کہِ وَقتہٕ صُبحس باگ۔

سنگر مالہٕ پھولنہٕ:- کوہ تیتھاٹھن (صُبحک) گاش پیوٗن۔ صُبح پھوٗلُن۔

سنگروَتھ:- بالٕہِ وَتھ۔ پہاڑی وَتھ۔ دون بالَن منز باچ وَتھ۔

سنگر:-(م۔مؤل:سنگر <س: سنکٹہ) لوکُٹ بال۔ ٹینگ۔ لَبر۔

سنگترٕ ہ:-(م۔مؤل:سنگتر <ف: سنگترہ) اکھ میوٗک ناو۔

سنگٹری چاے:- نوٗن تہٕ مُدر پردار چاے۔

سنگ سُڈی:- اکھ وُسنی گاسہٕ ذاتھ، اَتھ چھِ سولہٕ چالہ ژُتھر آسان۔

سنگلاتھ، سنگلاخ:-(ن۔مؤل: سنگلات <ف: سنگلاخ۔ا۔ سخ دوٗر۔ یہ نہٕ سُہل سُہل پڑاننہٕ یہِ۔۲۔ لداوبیتر) پوختہٕ۔ سبٹھاہ مضبوٗط۔

سنگہاری:- وُچھِو "سنگری"۔

سنموکھ:-(مؤل۔ سنموکھ <س: سنمکھ)۔ا۔ بُتھ سیوٗد۔ سیدِ سیوٗد۔۲۔ بُتھ۔ بروٗنٹھ کنہٕ۔

سوَب:-(ن۔مؤل:سوَب <ع:سَبب)۔ وُچھِو "سبب"۔

سوَا:-(پڑاکرت: سوااو <س: سپاو)۔ سواد۔ اکھ تہٕ ژوباگ۔

سوَاسیر:-(ن۔مؤل۔سواسیر <پڑاکرت۔سوایہ <س: سپاد+ س:سیٹکہ) روٹھ۔ اکھ قسمُچ گبودار موٗدرژوٹ۔

سوَار:-(مؤل: سوار <ف: سوار)۔ا۔ یُس گُرِس کھسِتھ آسہِ۔ یُس نہٕ وَہ کھلی آسہِ۔ م: گُری سوار۔
۲۔ فوجکی تم سپاہ یم گُربن بیتر کھسِتھ آسن۔
۳۔(ورگہٕ پاٹھی) گُرکرِن وول۔ ڈزرولدن وول۔

سوار سپدُن:-ا۔ گُرِس بیتر کھسُن۔ گُنہٕ کھسُن۔
۲۔(ورگہٕ پاٹھی) ڈزرولدُن۔ نکھس کھسُن۔

سوار گرٕ ژھن:-ا۔ گُنہٕ کھسُن (گن گرٕ ژھن وزِ بیتر)۔
۲۔(ورگہٕ پاٹھی) ڈزرولدُن۔ نکھس کھسُن۔

سوَال:-(ن۔مؤل:سوال <ع:سوال)۔ا۔ یہ پرٕ ژھنہٕ یہِ۔ یمیُک جواب ہینہٕ یہِ۔۲۔ (ورگہٕ) کانٔسہِ ہُند واسطہٕ دِتھ منگُن۔ م: سوال دیُن۔
۳۔ حسابہٕ بیتر یُک مسلہٕ یُس حل کرنہٕ یہِ۔
۴۔(ورگہٕ پاٹھی) عاجزی سان درخاس۔

سوالہِ خودا:- خودایہٕ سندِ خاطرٕ یا وَتہٕ۔ خودایہٕ سُند سوال۔ خودایہٕ سُند قسم۔ یہ چھِ یُتھ پاٹھی تمہ وِزِ وَنان ییٚلہٕ کانٔسہِ سالَس پرٕ ژھی۔

سوالہِ دیگر:- وُکھرٕ سوال۔ بدَل کتھ۔

سوالے نہٕ پاڑدسپدُن:- یتھ کتھ نہٕ وۄتھنی۔ بۄنہٕ تھِنہٕ ہیکُن۔

سوال جواب:-ا۔سوال تہٕ تمیُک جواب۔کتھ باتھ۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی)موکھ مُدٕ ے۔واد واد۔
سوال جواب کرُن:-واد کرُن۔
سوال دیُن:-ا۔کینٛہہ حل کرُن کیُت دیُن۔کینٛہہ پرٛژھن۔۲۔منگُن (کأنٛسہِ ہُند واسطہٕ دِتھ)
سوال ژھُنُن:-زار پار کرُن۔
سوال کرُن:-ا۔کأنٛسہِ کینٛہہ پرٛژھُن۔کنیُک جواب پرٛژھن۔۲۔پٕچھُن۔۳۔زار پار کرُن۔
سوانح عُمری:-(م۔مؤل:سوانح عُمری<ع:سوانح عمری) کِتاب بیترِ یتھ اَندر کأنٛسہِ ہٕنٛز زِندگی ہنٛدی حالاتھ دَرٕج آسن۔
سوأری:-(م۔مؤل:سوأری<ف:سواری)۔ا۔تہٕ یُتھ کھٔسِتھ گٔن نیٛری زِ۔گاڑی،ٹانگہٕ،جہاز یا گُر بیترِ یتھ کھٔسِتھ گٔن گژھان چھِ۔۲۔سُہ یُس سوار گژھِ۔یُس گُنہِ کھٔسِتھ آسہِ گاڑِ بیترِ کیتھ سفر کران ووٚل۔۳۔گُنہِ کیتھ یا کأنٛسہِ پٹھ بہتھ گٔن گژھن۔
سوارِ گُر:-ا۔گُریُس سوأری کرنہٕ ییِہ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سُہ یُس سأری حُکم کڈُن۔سأری سوار سپدن۔
سوأری دِنی:-نکھس بیترِ لٔدِتھ اکہِ جایہِ پٹھ بیٛیِس جایہِ نیُن۔اَتُس کھأرِتھ سوأری کھیاوُن۔گُرِس یا سایکلس بیترِ کیتھ گُنہِ جایہِ واتناوُن۔

سوأری کرٕنی:-ا۔گُنہ کھسُن (گٔن نیرنہٕ باپتھ) گُنہِ سوار گژھن۔اَتُس بیترِ کھسُن (کأنٛسہِ)۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی) گُر کرٕنی۔زِ رَولدُن۔نکھس کھسُن۔
سوألی:-(ع:سوال)۔یُس سوال کرِ۔یُس سوال دِتھ کانٛہہ چیز منگہِ۔منگہٕ دُن۔
سَوِکاس:-(مؤل:سَوِکاس<س:سَوِکاسہٕ) یہٕ وارٕ وارٕ پھولہِ،ظہور ژھٔٹہِ (درجہٕ بہٕ درجہٕ)۔
سَہز:-(مؤل:سَہز<س:سَہجَہ)۔ا۔پأنی پانے وُزٕ وُن، پرٛور۔آگہی ہنٛز وُزٕنی۔عرفان۔۲۔فطری۔جبلی
سَہز وِچار:-ا۔سَہزٕ چ کل۔۲۔سہزٕ پأٹھی سوچ۔
سَہسرِ دَل:-(ن۔مؤل:سَہسر دَل<س:سَہسر دَلہ)
ا۔(ل۔م)سُہ پوش یتھ ساسہٕ بُدی ؤتھر آسن۔
۲۔یوٗگی ین ہنٛز ریوٗ کونڈلنی ہُند ژکھر۔
سَہَل:-(مؤل:سَہَل<ع:سَہل) آسان۔یتھ منٛز نہٕ کانٛہہ مُشکِل ییِہ۔یتھ اندر سختی آسہِ۔
سَہَل اَپُز:-ا۔اَپُز ییمہٕ سٟتی نہٕ کأنٛسہِ نوقصان واتِتھ یتھ نہٕ کانٛہہ لاگتھ لگہِ۔۲۔سرٕ نٔٹۍ اَپُز۔نیٖولے ٹُر۔
سَہَل اَنگأری:-ا۔(گُنہِ کامہِ بیترِ اَندر کرنہٕ آمت) گوٚش۔کأم زٕ ژھٔس سٟتی ترٛاوٕنی۔سُستی کأہلی۔آلُش۔۲۔غأر ذِمہٕ وأری۔
سَہَل آسُن:-(ل۔م) مُشکِل نہٕ آسُن۔(گُنہِ موکھ) زیادٕ پریشانی نہٕ ٹکٕنی پیٚنی۔م:وَلہٕ سأ سہلے

چھُ۔ مامله وُلٹہِ یا پیچیدہ نہٕ آسُن۔

سَہَل بَنُن:-(بیمار بیترِ) لُوٗ ژہ لتھ گژھنۍ آسان گژھن۔

سَہَل بوزُن:-مَساوی زانُن، زیادٕ نہٕ سَتُن۔

سَہَل پأٹھۍ:-آسأنی سان۔ کُنہِ مُشکلہِ ورأے۔

سَہَل کرُن:-حلِ مُشکِل کرُن۔ دوکھ یا بیمأرۍ بیترِ ژلنٕو (أہۍ پُژھۍ وَنان)۔م: گژھ ژے خودائے سَہَل کرُن۔

سَہَم:-(ن۔مؤل: سَہم <س: سَہنہ) برداشت۔ ژالُن۔

سَہم نہٕ یُن:-ا۔ بہرُن نہٕ۔ بہرتھ نہٕ ہکُن۔ ۲۔ آریاتر دُد نہٕ گژھن (کانٛہہ کأم کرنس اندر)۔

سَہَو:-(ن۔مؤل: سَہو <ع: سہو)۔ا۔ بُل۔ پھِرٕنۍ۔ ڈَلُن۔ وَشِھ۔ ۲۔ (الغأیہ) غلطی۔

سَہَو گژھن:-ا۔ بُل گژھن۔ پھِرٕنۍ۔ وَشِھ گژھن۔ الغأیہ غلطی گژھنۍ۔ ۲۔ نوقص کینٛہہ پیوٗمت آسُن۔

سَہار:-(ن۔مؤل: سَہار <پراکرت: سَہہ آرو <س: سَہہ+کار)۔ ڈوٗکھ۔ آسرٕ۔ کأنٛسہِ ہنٛز سَتھ، آش۔

سَہار آسُن:-(کأنٛسہِ ہنٛز) شے آسٕنۍ آش آسٕنۍ۔ کأنٛسہِ ہُنٛد ڈوٗکھ آسُن۔ کانٛہہ اَتھ روٗٹ کرنس آسُن۔

سَہار دِیُن:-اَتھ روٗٹ کرُن۔ ڈوٗکھ تھوٗن۔ ژُکۍ دَر لاگُن۔ تسلی دِیُن۔ دِلاسہ دِیُن۔

سہاے:-(ن۔مؤل: سہاے <س: سہایہ)۔ا۔ مَدد اَتھ روٗٹ۔ اِمداد۔ ۲۔ یُس اَتھ روٗٹ کرِ۔ مددگار۔

سَہاے کرُن:-اَتھ روٗٹ کرُن۔ مَدد کرُن۔

سَہور:-اکہِ پوشکُ ناو۔ اَمکۍ مؤلِ چھِ بیر چھلنس لگان۔

سَے:-(م۔مؤل: سَے <پراکرت: سا! <ویدک س: ساتہِ)۔ا۔ پیشگی۔ رقم بیترِ یُس کُنہِ کامہِ یا سودا بیترِ باپتھ بروٗنٹھے دِنہٕ ییہِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) اُمنٛتھ۔ برانٛتھ۔

سَے تھوٗنۍ:-ا۔ کُنہِ کامہِ بیترِ باپتھ بروٗنٹھے کانٛہہ رَقم دِتھ تھوٗن۔ وَڈٕنۍ۔ ۲۔ اُمنٛتھ تھوٗنۍ۔

سَے دِنۍ:-پیشگی دِنۍ۔ رَقم بروٗنٹھے ترأوِتھ تھوٗن (کارِبارِ بیترِ باپتھ)۔

سیاح:-(مؤل: سیاح <ع: سَیاح) سألأنۍ۔

سیاحت:-(م۔مؤل: سیاحت <ع: سیاحۃ) سأل۔

سابَر:-(ن۔مؤل: سابَر <س: شَمبر)۔ ہانٛگلہٕ سُند چَمرٕ یتھ کھور بانہٕ بیترِ بناوان چھِ۔

ساتہٕ نتھ:-(م۔مؤل: ساتہٕ نت <ع: سَلطنۃ: لَفظک بِگار)۔ آسُن بَسُن۔ مال دَولتھ جاداد بیترِ۔

ساتکی:-(مؤل: ساتکی <س: ساتوِکی)۔ رِتہٕ سوبأوُک اِنسان۔ جان خصلتھ تھوٗن وول۔

ساتھ۱:-(مؤل: سات <پراکرت: ستھو <س: ساتھ) ستۍ آسُن یا روزُن۔ ستۍ پکُن۔ سنٛگ۔

ساتھ دیُن:-حمایتھ کرٕنۍ۔ کأنٛسہِ ہنٛدِ کنہِ روزان۔ مَدد کرنس روزُن۔ ستۍ ستۍ پکُن۔

ساتھ۲:-(ن۔مؤل: سات <ع: ساعۃ)۔ا۔ وِز۔

وَق ۔موقہِ ۔کانْہہ مُقرٕر وَق۔ وقتُک کانْہہ بوگ۔گر۔۲۔(نوٗجومہِ حسابہٕ) رٕژ گر۔ییٚمہِ وِزِ جان شوٗگون آسہِ۔

ساتہِ حَسن (ساعتِ حسن):۔ رُت ساتھ۔اَبہٕ زبتھ۔سُہ وَق ییٚلہِ دُعا بیترِ قوٗبوٗل سپدٕ یا کانْہہ کتھ برابر ییہِ۔

ساتہِ حَسن آسن:۔ رُت ساتھ آسنہٕ کنہِ ہنگتہٕ منگہِ قوٗبوٗلتھ سپدٕنی یا کینْہہ باعمل ییٚن۔ یہٕ کوٚچھمت آسہِ تہِ برابر ییٚن۔اَرزبتھ آسُن۔

ساتھ آسُن:۔مُہوٗرتھ آسُن۔رُت شوٗگوٗن آسُن۔ رٕژ گر آسٕنی۔ مُناسِب موقہٕ آسُن (کانْہہ کام بیترِ شوٗروٗ کرنہٕ باپتھ)۔

ساتھ رَٹُن:۔کُنہِ جان کامہِ ہُنٛد (کھاندرک بیترِ) مُہوٗرتھ طے کُرِتھ تھوَن۔شوٗگوٗنہٕ پُژھی رٕژِ گرِ دَس ٹُلُن۔یُژپاٗٹھی مَکانہٕ بیترِ بناونس منٛز رٕژِ گرِ شوٗگوٗنہٕ پُژھی کنہِ بیترِ ترأوِتھ تھوٚنی۔

ساتھ نیرُن:۔رِ ژوِزِ نیٚرُن۔مُہوٗرتھ نیرُن۔

ساتھ وُچھُن:۔شوٗگون وُچھُن۔رٕژ گر وُچھُنی۔ (کُنہِ کامہِ باپتھ)۔

ساٹن:۔(ن۔موٗل: ساٹن < اَنگ: ساٹن Saton اکہِ نَرم کپرُک ناو۔

ساد[1]:۔(ن۔موٗل: ساد < س: سَواد)۔مزٕ۔حظ۔لُطف

سادیُن:۔مزٕ ییُن۔لُطف ییُن۔

ساد[2]:۔(ن۔موٗل ساد < س: سادٕھ)۔سَنت۔ درویش۔پرہیزگار۔موٗت۔فقیٖر۔

سادِ دِٹھ:۔سو جاے ییٚتہِ نَس سادِ ووتھان بِہان آسَن۔سادَن سَنٛتَن ہنٛز دِٹھاک۔واریاہن سادَن ہُنٛد سَمُت۔

سادِ پزٕ کرتھ:۔سادَن ہُنٛد ہیوٗ سو باو سادِ سُنٛد ہیوٗ مزازِ۔سبزٕ پزٕر۔

سادِ سَنٛگ:۔رِ تین لوکن ستیٚ ووٹھُن بِہُن۔سیٚدٕ ہن سادَن ہنٛز صوٚحبتھ۔پرہیز گار لوٗکن ستیٚ میلُن گیلُن۔

سادسَنٛت:۔پیٖر فقیٖر بیترِ۔پرہیزگار۔

ساد لأرکتھ نسوٗ دخار:۔۱۔سُہ ظاٗلم یُس بُتھہِ کنہِ سبٹھاہ شریف باسہِ۔۲۔یہٕ چھ تَس وَنان یُس بُتھہِ کنہِ شریف باسہِ مگر لوٗکن نبتھ ییٚہِ۔

ساد[2]سادس پیوٚن:۔(< س: سادھ)۔پایَس پیوٚن۔ وَقت گوٚھتھ حبسہٕ پیوٚن۔

سادِ ڈَلُن:۔وَتہِ ڈَلُن۔سیٚزٕ وَتہِ نہٕ روزُن۔م:

سادِ ناو پیوٚ ے اَدِ سادِ موڈَل
سنتوشہِ بیاٗلی بو آنند پھَل

سادَتھ (سعادت):۔(ن۔موٗل: سادت < ع: سادتھ)۔۱۔خوٚشی یا فخر ہیوٗ یُس کانْہہ رُت چیز حاصِل کرنس پتھ گوٚھہِ۔ تازٕ۔۲۔نیکی۔جأنی رٕژر۔۳۔(آنکار پُژھی) اَدِ کیاٗ رُت۔جان۔زبر

سادَتھ (سعادت) مَنٛد :- یُس زِٹھی پٔنٛدِس حُکمس کلہٕ دارِ۔ فرماں بردار۔ خٔدمت گذار۔
۲۔اقبال مَنٛد۔ پھرۄٹ۔

سادَکھ:-(ن۔مؤل: سادک <س: سادَھکہ)۔
۱۔(مَنٛتھر یا ؤظیفہٕ بیترِ) کماوَن وول یا رِیاضتھ کرن وول۔۲۔ییٚمی مأنٛتھر بیترِ کمأوِمُت آسہِ۔ مأنٛتھرِ گوٚر۔

سادَن:-(م۔مؤل: سادَن <س: سادھنا)۔۱۔وَتھ تدبیر۔ ڈُرکھ۔۲۔ سادھنا۔ ریاضتھ۔۳۔اکہِ قسمک ہیٚچھ اوزار ییمہِ سٟتی لیکھٕن بیترِ مِٹاوَنہٕ چھُ یوان۔ ہیٚچھ نِہادَن۔۴۔ نوٗ سادَن۔ اَکھ دَوا ییٚمہِ سٟتی پزٲنی قلایہِ بیترِ زالان چھِ۔

سادَے:-پکرُن۔ سادَن۔ مَدتَس یُن۔

ساد:-(مؤل: ساد<ف: سادہ)۔۱۔ یتھ یا یَس کُنہِ قسمٕچ سجاوَتھ آسہِ نہٕ۔ یتھ نہٕ نقش بیترِ کرِتھ آسَن۔
۲۔یتھ نہٕ کانٛہہ رَنٛگ۔۳۔شۄد۔ یتھ یتھ نہٕ کُنہِ قسمُک رَل آسہِ۔ صاف۔۴۔مَنہٕ کنٛز صاف۔ دِلہٕ صاف۔ یَس نہٕ دِلس کھوٗچر آسہِ۔ مزاز کنٛز سیوٚد، یَس نہٕ کُنہِ قسمُک کٔجر یا تکبر آسہِ۔ یَس نہٕ کانٛہہ ژھل ژھۄمب آسہِ۔ یُس نہٕ وَل ژھل زانہِ۔۵۔ یَس یکدم ژھل تَرِ۔ یُس ژلی ژھلراونہٕ یِیہِ۔ کم سَمَجھ۔ سیوٚد۔ مُڈ۔ یَس نہٕ سَہل سَہل کتھ فِکرِ تَرِ۔ چور۔۶۔(کاکز بیترِ) رکھوو رٲے، یتھ نہٕ رۄٗل دِتھ آسَن۔ کاکز یتھ نہٕ کینٛہہ لیکھتھ آسہِ۔ خٲلی کاکز۔

سادِ بےٚ ڈول:-۱۔ بے عقل۔ مُڈ۔ چور۔
۲۔یُس اوٗسرِ کھۄٚسر پأٹھی پلونٲلی آسَن۔ یُس نہٕ طور طریقہٕ آسہِ۔

سادِ کاکز:-۱۔کاکز یتھ نہٕ رکھ دِتھ آسَن۔۲۔سُہ کاکز یتھ نہٕ کینٛہہ لیکھتھ آسہِ۔

سادِ منوش:-۱۔سیوٚد ساد اِنسان۔ سُہ اِنسان یُس کھوڑ پھیٚچہِ آسَن نہٕ۔۲۔(ورگہ پأٹھی) چور۔ پھرزوت۔

سادِ مزاز:-یُس نہٕ کٔجر یا تکبر آسہِ۔ سیوٚد۔ یُس نہٕ نٔخرل آسہِ۔

سادِگی:-(ن۔مؤل: سادگی <ف: سادگی)۔۱۔ سادِ آسُن۔ سیوٚد آسُن۔ عاش پرست آسُن۔ سبزر۔ سبز نہٕبزر۔۲۔(مزاز کنٛز) کُنہِ قسمک کٔجر یا تکبر نہٕ آسُن۔ نٔخر یا ورنہٕ آسٕنی۔۳۔سجأوتھ یا نقش دار نہٕ آسُن، ژھل ژھۄمب نہٕ آسٕنی۔۵۔چار بر۔

سادِنی:-(م۔مؤل: سادِنی <س: سادھنہٕ)۔ سامانہٕ، ہتھی یار، اَسبابہٕ (یُس کُنہِ کامہِ بکار یِیہِ)

سادِ وول:-پےٚ ووٗنی۔ یُس دُسہِ بیترِ بناوان تہٕ کنان کران آسہِ۔

ساڈُل:-(ن۔مؤل: ساڈل <س: شواد)۔۱۔مزٕ دار یتھ جان ساد آسہِ۔۲۔خوش بۄن۔ لۄبہٕ ڈُن۔

ساڈُن:-(ن۔مؤل: اسدَن <ویدک س: سادھنہٕ)

ا۔پکڑُن۔اَتھ دیُن۔مَدتھ کرُن (کأم بیترِ اَند واتناونس اَندر)۔۲۔حبسس واتُن۔۳۔ کانٛہہ کأم پۆرٕ کرنہٕ باپتھ تمٛکۍ ڈٕری یہِ ورتاوُنۍ۔

ساڈ:۔(مۆلِ: ساڈ<پرٛاکرت: سڈ‍ڈھ<س: سارڈھ) اَڈٕ پیٹھۍ۔اوڈٕ ہتھ۔م: ساڈ ترٛےٚ۔

ساڈِستۍ:۔(م۔مۆل: سڈِستی<س: سارڈھ سپتہٕ)۔ ا۔اَکھ ناکارٕ گرٛیٚہہ دُیک ناوِیس ساڈُن ستن ڈٕری ین روزان چھُ۔گرٛیٚہہ بن ہُند اَکھ چکر۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) شأہمتھ۔بدبختی۔

سار۱:۔(ن۔مۆل: سار<س: سار)۔ا۔لُب لُباب۔ جوہر۔گۆل۔ہرتر۔۲۔ہکتھ۔توژھ۔زۆزبتہٕ۔ مِ: مےٚ چھنہٕ ووٕنی سار۔۳۔قدرٕ قیمتھ۔

سارِ کتھ:۔ژکہٕ تلٕچ کتھ۔گنہٕ کتھِ ہُند مۆل، کۆج، اصل مانہٕ مطلب۔بیالہٕ اَندرٕچ کتھ۔

سار تھوُن:۔ہکتھ باتےٚ تھوٕنی، شوق بیترٕ نہٕ سورنہٕ دیُن کانٛسہ)۔

سار دار:۔یتھ برکتھ ئیرٕ۔

سار نہٕ روزُن:۔ہکتھ نہٕ روزٕنی۔توژھ نہٕ روزٕنی۔

سار نیرُن:۔ترٛیرُن۔(ژھوٚٹ پأٹھۍ) مطلب نیرُن۔

سار۲:۔(م۔مۆل: سار<س: سارنی) لوکٕٹ ین ییمہٕ منٛزٕ ڈور بن بیترٕ سنگ ترٛاوان چھِ۔سنگہٕ جوے۔

سار۳:۔(م۔مۆل: سار<س: سارَ)۔ا۔چوکٕچھ یا چار چوبہٕ ہنٛز گرٕ۔مِ: ترٛسار۔۲۔ٹانگہٕ یا ریڈ بیترٕ یُک ڈرٕ۔ٹانگہٕ بیترٕ یُک سہ حصہٕ یتھ ستی پیہہ پھٕسِتھ آسان چھ۔۲۔ئنڈرٕ مِلکی تھمٕ رلاوٕنچ مۆژھ۔

سار۴:۔(ن۔مۆل: سار<س: سرو/پرٛاکرت: سیلہ او<س: سکلہ)۔ا۔گُل۔تمام۔مِ: سارِونۍ ییٚہک۔ ۲۔سورٕے۔پرٛتھ کینٛہہ۔

سارِ رَنگہٕ:۔پرٛتھ رَنگہٕ۔ہر گنہٕ قسمہٕ۔پرٛتھ وَتہٕ یا اَنٛدٕ۔ پرٛتھ کُنہٕ طریقہٕ۔

سارَن۱:۔(م۔مۆل: اری<س: سارَیتہٕ۔سرٛکہ۔ سأر۔کانٛہہ چیز اورٕ یور سارنٕچ کأم ڈُلاے۔

سارَن۲:۔ (م۔مۆل: سارَن <س: سارنی)۔ ا۔اَتھٕ بیترٕ ستی کانٛہہ چیز سارنٕچ کأم۔اَتھٕ لأگِتھ وُچھنٕچ کأم۔کتھِ کتھِ منٛز کانٛسہٕ نش سِر کڈنٕچ کأم۔۳۔جوتشہ چہ گنزرنہٕ ہُند نقشہٕ۔

سارَن کرٕنۍ:۔کانٛسہٕ نش راز کڈُن۔سِر کڈُن۔ کتھِ کڈٕنۍ۔

سارَن ۲:۔لوٚکٕٹ سارَنگ۔

سارَنگ:۔(م۔مۆل: سارَنگ <س: سارَنگی)۔ واینٛگ اَکھ ساز۔

سارَے:۔لاکہِ لاکہِ سارنٕچ کأم۔کانٛہہ چیز لاکہِ لاکہِ اَکہِ جایہِ پیٹھٕ بیٚیس جایہِ نِنٕچ کأم۔

سارٕنگی:۔سارَنگ واین وول۔

سارِنےٚ، سأری نےٚ:۔ہر کانٛسہِ۔پرٛتھ اَکس۔

سارِوے:۔پرٛتھ کانٛسہِ (ییٚہُند ذِکر آسہِ)۔اَکی اَکی۔

پڑتھ اَکر۔

سارِگی:۔سو رنگ۔جنٹک۔م: سارِگی جامہٕ۔

سارِناوُن:۔کانٛسہٕ اَتھِ چیز بیترِ اورِ یورِ ٹلناوُن۔اکہٕ جایہِ پیٹھ بیٛیس جایہِ واتناوُن۔

سارِوُنی:۔اموٗزوٗرکہ بیترِ یوسہٕ کانٛہہ چیز سارٕنس دِوان چھِ۔

سارِوُن:۔(۔سارٕن وول۔۲۔یہ سأرِتھ ہیکہٕ۔درِوُن۔روزِوُن۔۳۔ساران ساران۔

سارُن ا:۔(ن۔مؤل: سار <س: سارَیتہٕ)۔

ا۔اکہِ جایہِ ٹلتھ بیٛیس جایہِ (لاکہٕ) نیٛن۔اکہٕ جایہِ پیٹھ بیٛیس جایہِ واتناوُن۔۲۔جمع کرُن۔

سوٗمبرُن۔سوٗمبرِتھ تھوٗن۔۳۔جمع سپدُن۔

سوٗمبرنہٕ یٛن۔سٔمن۔م: شیٛن سارُن۔

۴۔پلہٕ پیٛوٗن۔حاصل سپدُن۔اَتھِ یٛن۔لارُن۔۵۔فکرِ ترُن۔۶۔ژٕتس روزُن۔لارُن۔

سارُن ۲:۔(ن۔مؤل: سار<؟)ا۔(تہٕ یہٕ نہٕ اَچھو ستۍ وُچھتھ ہیکو زِ)۔اَتھِ بیترِ لأگتھ باتہٕ کڈُن۔اَتھ ڈألتھ موٗحسوٗس کرُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) (کھٗنۍ کھٗنۍ) کتھ کڈٕنی۔کتھِ کتھِ منز بسر کڈُن۔

سأرۍ سأرۍ پکُن:۔ا۔اَتھِ یالورِ ستۍ باتہٕ کڈِتھ پکُن۔۲۔(ورگہٕ) سخ احتیاط کرُن۔حبس تھوٗن۔ہوشہٕ سان کأم کرٕنی۔

سارۍ نِے:۔پڑتھ اَکس۔یہند ذِکر آسہِ تمو أندرٕ پڑتھ کانٛسہٕ۔

سارٹفکیٹ:۔(م۔مؤل: سارٹفکیٹ <اَنگ: سرٹفکیٹ (Cerfticate) سَند۔

سارجنٹ:۔(ن۔مؤل: سارجنٹ <اَنگ: سرجنٹ۔(Sergent)۔پُلسس اَندر اَکھ عوہدٕ دار۔

ساز ا:۔(ن۔مؤل: ساز <ف: ساز) کُنہہ قسمُک سامانہٕ یا اوزار بیترِ۔اسباب۔آکہٕ چیز یِم کُنہہ بکارِ ین۔سُہ چیز یمہٕ ستۍ کانٛہہ کأم کرنہٕ یِیہ۔۲۔جنگی ہتھیار۔ہلاح سامانہٕ۔۳۔سِنگارُک سامانہٕ۔پأراو۔تم چیز یمو ستۍ پان پأراوان چھِ۔۴۔موٗسیقی ہُند سامانہٕ۔چیز یِم گٕوُن وول وایان چھِ۔۵۔گُرۍ سُند زٕہن۔پکنہٕ، راس، نوکتہٕ یارِکاب بیترِ یُس گُرِس چاران چھِ۔

سازِ دِیار:۔سازِ گرِ ہٕنز موٗزوٗرکہ۔ہارِ یمہٕ مُہرِ ینٛز پأراوَن واجنہٕ دِوان چھِ۔

سازِ گر:۔سو زنانہٕ یوسہٕ مُہرِ ینٛہٕ ساز کرِ۔یوسہٕ مُہرِ ینٛز پأراوٕنک کارکران آسہِ۔

ساز رٕٹُن:۔ا۔چھکرِ بن ہُند اَکھ اَکس ساتھ دیٛن۔تال رٕٹنۍ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ڈکھ رٕٹُن۔پوٗکھ کرُن۔طرفدأری کرٕنی۔

سازسامان:۔سامانہٕ بیترِ۔ہتھیار بیترِ۔

سازسِنگار:۔پأراو۔پان پأراوٕنک سامانہٕ۔

سازواٛین:۔(گٕوُن وِزِ) ستیار یا نوٹ بیترِ واٛین۔

ساز۲:۔(مؤل: ساز <ف: ساز) بناوَن وول۔گرن

دول۔تھُرن دول۔اَکھ پوٗت لوٗگ۔مِ:نَمدِ ساز۔
نَمدِ بناوَن دول۔صابنہِ ساز:صابُن بناوَن دول۔

سازَندَر ا:-(مؤل: سازَندر <ف: سازنده) ساز
وایَن دول۔یَس سانہِ وایُن تگان آسہِ۔

ہ۔سازَندر ۲:-خوشامدی۔مَطلب کڈَن دول۔
وایَن دول۔مِ:بَتہِ سازَندر۔

سازباز:-(م۔مؤل:سازباز<ف:سازباز) ژوے۔
سازش۔اُٹ۔لَچہِ واٹھ۔

سازگار:-موافق۔وَیہِ وُن۔یتھ ستی برابرُی ییہِ۔
مِ:سازگار ماحول۔

ساس ا:-(ن۔مؤل:ساس<؟)سوٗر۔

ساس ۲:-اَکھِ قسمُک کچھِ گل یُس کِنکہِ یا مَکایہِ ڈارس
کھسان چھُ۔

ساس ۳:-(مؤل:ساس<س:سَہسرٛ)۔داہ شتھ۔

ساس ڈاس تہٕ وَتھرُن نہٕ وَگو:-تہٕ دُپتھ گو
صوٗرتھ نہٕ اُستھ تہٕ دیار گالُنکی دَم۔

ساس ڈاس کرُن:-بے اندازٕ دیار گالُنی۔

ساسہٕ کُٹ:-ا۔بالُی وَتھ یتھ کھسُن اُسُن سیٹھاہ مُشکِل
آسہِ۔۲۔کشیرِ اَندر اَمرناتھ وَتہِ اَکھ بالہِ لبرُک ناو۔

ساسہٕ گاش:-(پھولہِ وُن)۔نیٚگ نیٚگ گاش۔سیٹھاہ
سوٗت گاش۔

ساسہٕ دوٗنی:-سو کھِ دُشن آب۔سو کھِ بوٗل آب۔
شہر گرم پوٗنی۔

ساغر:-(ن۔مؤل:ساغر<ف:ساغر)(شرابُک)پیالہِ۔

ساقی:-(مؤل: ساقی <ف: ساقی) ۔کلہِ وال۔
چاوَن دول(یِژپاٹھی شراب یا تژ لیش بیترِ)۔

ساقی کوثر:-حضرت محمد صابُن اَکھ صِفاتی ناو،
مُسلمانَن ہندِ عقیدِ مؤجوٗب چاوَن تم پرہیز
گارَن قیامژ دوہہ حوضِ کوثرٕچ تژ لیش۔

ساکٹھ:-(ن۔مول:ساکٹ <اَنگ: ساکیٹ:
Socket)۔ا۔سُہ کھانکھر یا گوگل یتھ مَنز
کانہہ چیز بَند کرنہِ ییہِ۔۲۔چورٕ دار کوٗر رہیٚوٚہ
یُس نَلکس والُس تل جوڈان چھِ۔

ساکار ا:-(ن۔مؤل:ساکار<س:ساکارَ)(نون)۔
آکار یا صوٗرژ رَنگ مؤحدوٗد یا سہِ وُن۔دژیٹھ
یوٗن۔پژوکھُٹ۔

سارکار ۲:-(<س:سوِیکار)آنکار۔

ساکار دیُن:-آنکار کرُن۔کُنُن۔قوٗبوٗل کرُن۔

ساکشات:-(مؤل: ساکھشات<س: ساکشات)
ا۔دژیٹھمان۔اَچھَن بروٗنہہ کنہِ۔تھی۔نوٗن۔
ٹاکار۔۲۔ہوٗبہوٗ۔یہِ وُنی زِتہِ۔

ساکشی:-(مؤل:ساکشی<س:ساکشی)۔ا۔وِچھوٗن۔
نظر۔۲۔گواہ۔شاہد۔

ساکھیات:-(مؤل: ساکھتیات<س: ساکشات)۔
وِچھِو"ساکشات"۔

ساکھیات کار:-(ن۔مؤل:ساکھیات کار۔<س:

ساکشات کار)۔اصلَس واتُن۔(پزر) وَنہِ کَڈِتھ پانہٕ ناوُن۔(اِصلِچ) سیّد سیوٗد زان۔

ساگر:-(ن۔مؤل: ساگر <س: ساگر) سۆدر۔سَمَنٛدر۔

ساہٕگر گاٗلُنۍ:-کاٗنٛسہِ پَتھ پان گاٗلُن۔کینٛہہ نہٕ باقے تھوٗن۔

ساگہٕلَر:-(م۔مؤل: ساگہٕلَر <س: ساگرٕ+پرٛاکرت: لَٹی)۔اکہِ ہٕژ وسَنٛک ناو۔ناکی ترٛاونٛچ چۆنہِ دار مال۔یَتھ روپہِ ہٕنٛدی سبزٕ ہی ترٛاوِتھ آسَن۔

سال ا:-(ن۔مؤل: سال <؟ع: سوال)۔

ا۔ داوَتھ۔ کُنہِ خۄشی ہٕنٛدِس موقس پیٹھ کُس کوٚسَن بیترِ کھٮ۪نس چٮ۪نس پرٛژھن،ناو دیُن۔

۲۔ضِیافَتھ۔ وازٕ بتہٕ۔

سالہٕ اَنُن،سالی اَنُن:-وُچھو"سال کرُن"

سالہٕ بَتہٕ:-ا۔(جان پاٗٹھی رونٛمت) بتہٕ سیٚنٛن یُس کھاندرس بیترِ پیٹھ مٮ۪ہمانَن بٲگران چھِ۔

۲۔(ہزلہٕ) مُتھار۔ژیٹھ شُلکھ۔

سال کرُن:-داوَتھ کرٕنۍ۔کُس کوے بیترِ کھٮ۪نہٕ چٮ۪نہٕ باپتھ ناد دِتھ اَنُن۔

سال ۲:-(م۔مؤل: سال <س: سِیالی)۔کولیہٕ ہٕنٛز بیٚنہٕ۔

سأج گوٚبُر:-سأج ہٕنٛد نیٚچو۔

سالار:-(ن۔مؤل: سالار <ف: سالار) سردار۔ زیٹھ۔کپتان۔یِژہ پاٗٹھی فوجُک افسر۔

سالار:-(ن۔مؤل: سالار)۔ریٖشہو بیٚز ارڈوٗریو سہ یِژہ پاٗٹھی مہریٚنہٕ آسان چھےٚ۔

سالانہٕ:-(مؤل: سالان <ف: سالانہ) وُرِ یہِ پتھ وُرِ یہِ۔وٕہری۔وٕہر۔

سالگرٛام:-(ن۔مؤل: سالگرٛام <س: شالہ گرٛامہ۔ م: ہ: سالگرام)۔ا۔اَکھ خاص لأرِم یَتھ شِو ہٕنٛز مۆرتی زأنِتھ پوٗزا کران چھِ۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) شۆد بۆد۔چھلِتھ تہٕ چھوٚر کٔتھ۔کلابلا۔

سالُر:-(ن۔مؤل: سالر <وُچھو"سال") (یِژہ پاٗٹھی کھاندرس پیٹھ) سالہٕ اونٛمت یا سالس آمت۔ م: ڈُژ۔م: سالرٕنۍ۔

سالگرہ:-(م۔مؤل: سالگرہ <ف: سالگرہ) وٕہر وود۔زادوہ۔

سام ا:-(ن۔مؤل: سام)۔ا۔ ناگس بیترِ۔أنٛدٕ أنٛدٕ کنٛین ہُنٛد گیر۔۲۔یارٕ بَلکی کنہِ پاٗوٕ۔

سام ۲:-(م۔مؤل: سام) (کُنہِ چیزٕ چ) سٔرگی۔ ازمأیِش۔

سام ہیٚنۍ:-نظر گنٛڈرِتھ سٔرگی کرٕنۍ۔اَزماوُن۔اَنٛدازٕ کرُن۔ووثت ہیوٚن۔

سام ۳:-(ن۔مؤل: سام <ف: سام) سام نامُک کِردارُس اِیرانُک اَکھ مشہوٗر پہلوان اوس۔

سامانہٕ:-(ن۔مؤل: سامان <ف: سامان)۔ ا۔اوزار۔اَسباب۔ہتھیار۔تم چیزٕ بیترِ یم کأرِ گرس بکار لگان چھِ۔آلہٕ۔۲۔ڈیرٕ ڈگہٕ۔

سوگاٹھ۔ ٹکہِ سِکہِ چیز بیترِ (گرِکی) گرویٹھ۔
دوہدِش پاٹھی بکارہِ پنہِ وألی چیز۔۲۔ مال۔ سودا۔
۴۔(ورگہِ پاٹھی) ویٹھ۔ عملہِ ہُند سرمایہ۔
سامانہِ جنگ:۔ ہتھی یار بیترِ یم جنگس منز لگان چھِ۔
جنگی ہتھی یار۔ سِلاح سامانہِ۔
سامُن:۔(ن۔مؤل: سام <س: سَمپنہ سَمپد)۔
۱۔ وٹُن۔ سوٚمبرِتھ اُنُن۔ سائٹپن۔۲۔ قبضس
منز اُنُن۔۳۔ پرؤرِش کرِنی۔ پالُن۔ رچھُن۔
۴۔ رٚژھرِتھ تھوٚن۔
سامرتھ:۔(م۔مؤل: سامرت <س: سامرتھیہ)۔
۱۔ ہکبتھ۔ طاقتھ۔ ہمتھ۔۲۔ صوٚرتھ۔ آسُن۔
سامری:۔(ن۔مؤل: سامرت <ع: سامری)۔
حضرتِ موسیٰؑ ہندِ وقتک مشہوٗر جودوگر یمی داتگ
اکھ تیُٹھ وٚوژھ بنوویس ڈاں کران اوس۔
سامگری:۔(م۔مؤل: سامگری <س: سامگری) سامانہِ۔
اسبابہِ۔ خاص کرِتھ ہوٚنہِ باپتھ یا داہ سنسکار باپتھ۔
سام دپد:۔(ن۔مؤل: سام دپد <س: سارَویَد) ژورو
دپدَ وأندِ اکھ دپد یمکی ہرِ گوبنہِ پوان چھُ۔
ہ۔سان:۔(مؤل: سان <س: سالم)۔۱۔ ستی ہتھ۔ سیٚے۔
ستی۔۲۔ پاٹھی۔ م: خوشی سان۔ سوکھ سان۔
سانہِ:۔ (<س: اسمان)۔ وَنُن وألی ہند یا وَنن
والین ہندِ۔
سانہِ گرِ تیا لبد لأر:۔۱۔ تہِ دُپتھ گوپنہِ نِس چیز س

چھنہِ کانہہ ناکارِ آسُن مانان۔ پٔنِنۍ بٔدی چھنہِ
کانہہ مٚتہِ ہوان۔۲۔ سخ گمنڈ۔ ژھوکھ۔
سانہِ زوٗرِ تہِ دٚود ژونگ:۔ تہِ دُپتھ گو اَسہِ تہِ
پھیرِ کٔہو تام رِتی دوہ۔
سانین:۔ وَنَن وألی ہند بن یا وَنَن والین ہند بن۔
سانچہِ:۔(ن۔مؤل: سانچ <س: سَنچیہ + کہ، ہ: سانچا)
قالب۔ سُہ سامانہِ یتھ اَندر ڈٲلے کرنہِ باپتھ
کارِتھ داتھ بیترِ تراوُن چھِ۔
سانکراتھ:۔(م۔مؤل: سانکرات <س: سنکرانتہِ)
(آفتاب حِسابہِ) رنگ گوڈنیک تأریخ۔
پُہلا۔ سُہ دوہ ییلہِ آفتاب اکہِ بُرجہِ بیٚیس
بُرجس تران چھُ۔ وُچھو "سانکراتھ" تہِ۔
سانکھیہ/سانکھی:۔(ن۔مؤل: سانکھی <س: سانکھیہ)
ہیٚندٚ بن ہُند اکھ فلسفہ یمیُک بأنی کپل اوس، اَتھ
اَندر چھِ ہستی تہِ کاینا تک مأدی نظریہ مانان۔
سانگ:۔(ن۔مؤل: سانگ <؟س: سَمانکہ۔ م۔ ہ:
سوانگ)۔۱۔ ڈامب۔ ڈُھٹے چانگہِ۔۲۔ پأتھر۔
سانگ لاگُن:۔۱۔ ڈامب لاگُن۔ مکُھر لاگنی۔
۲۔ پأتھر چارُن
سانگ وہراوُن:۔ تیُٹھ ڈامب لاگُن یتھ اَندر
واریاہ کینہہ ولنہِ ییہ۔
سانگل:۔(مؤل: سانگل <ؤچھو، سانگ)۔ ڈامبل۔
چانگہِ تراوَن دول۔

ساوَن بَنٛڈ :-تھَنہٕ یا دوٕ رٕنٛگۍ ڈالی یوسہٕ گُجری شرٛاونس کیٚت انان چھِ۔

ساوَے :-(مۆل: سارے <س: سَر وَسۆ) خوش حالی۔ پاپرجایی۔ بجٲیی۔

ساوِدان :-(مول: ساوِدان <س : ساوَدھانہٕ)۔ یُس پۆرٕ پاٹھۍ دیان دِتھ آسہِ۔ حبہٕ۔

ساوُن :-(ن۔مۆل: ساہ <س: سۆاپہٕ) نێنٛدٕر پاوٕنۍ۔ شونٛگناوُن۔

ساوێری :-کرِ یمن ہٕتۍ پٔشہِ چھِ موکھ پچھِ ٹھاسٕتھ آسان چھےٚ۔

ساوێنٛز :-(م۔مۆل: ساوِنۍ <سۆامنی)۔ا۔ڈکیہٕ بُڈ۔ یژتہٕ واجێنٛز زنانہٕ۔آسَن بَسَن واجێنٛز۔خوجہِ بابے۔ ۲۔رٕنۍ واجێنٛز۔

ساوبر :-(مۆل ساور <ۆچھِو ساوَے)۔ا۔آسَن بَسَن۔ مال دَولتھ۔۲۔ہَجَر۔بڈٕہی۔

ساہَس :-(ن۔مۆل: ساہَس <س: ساہَہٕ)۔جۆرتھ۔ ہمتھ جرٲت۔

ساہَسی :-(<ۆچھِو ساہس)۔جُرت مَنٛد۔

سایَم کال :-(<س: سایم کالہٕ)۔شام۔شامٕک وق۔سَنٛدیا وَق۔

سایہ :-(ن۔مۆل: سایے <ف: سایہ)۔ا۔ژھاے۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ) سَتھ۔سَر پرستی۔ڈۆکھ۔ ۳۔ژھبدٕن۔سوجاے یێتہِ نٕس رۆدٕ بیترٕ وِزِوِزِ روٗزی زِ۔۴۔شیجارٕ شُہُل۔یتھ جایہِ نہٕ تاپھ آسہِ۔شُہلس کُن۔۵۔(ورگہٕ پاٹھۍ) پرٛاہ۔ تصرُف۔

سایَس تَل یُن :-کانٛسہِ نِش چھِپنہِ یُن۔کانٛسہِ نِش آسرٕ ژھانٛڈُن۔پناہ مَنٛگُن۔

سایہ پیۆن :-کانٛسہِ ہِنٛدِ نوٗمُوٗچ ژھٕٹھ واتٕنۍ۔ کانٛسہِ ہِنٛدِ شِکسہٕ وَلنہٕ یُن۔

سایہ ترٛاوُن :-ا۔چھُہج دِیُن۔ژھبدٕن تھوٗن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ) سَر پرستی کرٕنۍ۔رَچھُن پالُن۔ ۳۔شِکَس اَنُن۔

سایہ دار :-(کُل بیترٕ) چھُہج دار۔یِمیٚک چھُہج دوٗر تام وَہرٲوِتھ آسہِ۔

سایہ روزُن :-آسرٕ (مۆجۆد) روزُن۔ڈۆکھ روزُن (کانٛسہِ ہُنٛد)۔

سایہ کرُن :-ا۔ژھبدٕن تھوٗن۔شُہُل کرنہٕ باپتھ یا رۆدٕ بیترٕ نِشہِ بچاوٕ باپتھ پٔٹھ کیٛنہہ تھوٗن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ) اَتھہٕ پٔٹھ تھوٗن۔سَر پرستی کرٕنۍ۔

سایہ گرٛۆھن :-پرٛاہ گرٛۆھن۔تصرُف گرٛۆھن۔

سایبان :-(ن۔مۆل: سایبان <ف: سایبان)۔ سُہ بۆڈ خیمہ یتھ پٔتھ وَہرٲوِتھ آسہِ۔

سائِنس :-(ن۔مۆل: سائِنس <انٛگ : سائِنس Science) سُہ علم یُس تجربہٕ بیترٕ ہٕتۍ سَرٕ کٔرِتھ ترتیب دِنہٕ آمُت آسہِ۔

سائنس دان:- سائنس زانن وول۔
سٕبیل ۱:-(م۔مؤل: سٕبیل < ع: سبیل)۔ وَتھ پاے۔
چارٕ۔ وٕسیلہٕ۔ سَبب۔ ذٔریعہٕ۔
سٕبیل اللہ:- ۱۔ خودایہٕ سٕنز وَتھ۔ ۲۔ راہِ خوداہ۔ خودایہ
سٕنزِ وَتہٕ۔ خودایہٕ سٕندی ناوِ۔ ۳۔ (ہرزٕ پأٹھی)
ناتھہٕ۔ ہَنگتہٕ مَنگہٕ۔ م: دُشمن فی سٕبیل اللہ۔
سٕبیل ژھانڈٕنی:- وَتھ ژھانڈٕنی۔ طریقہٕ کڈُن۔
سٕبیل کرٕنی:- ۱۔ پاے کرُن۔ ذٔریعہٕ ژھانڈُن۔
۲۔ وَتھ ہاوٕنی۔
سٕبیل ۲:- سو جاے یٔتیتھ تریش یا شربت بأگرنہٕ ییہ۔
سُتی:-(م۔مؤل: سُتی < س: سَتی)۔ ۱۔ شۆژ، پاکباز،
باعصمت زنانہٕ۔ شِلہٕ مان۔ ۲۔ وفادار زنانہٕ۔
۳۔ پاروَتی ہُندٕ اَکھ ناو۔
سُتی گژھُن:-(کانٛسہٕ زنانہِ ہُند) رٕنی سٕنزٕ ژِتایہ
منٛز زِندے پان والُن۔
سُتی سَر:-(ن۔مؤل: سُتی سَر < س: ستی+سَر)۔ پتھ
کالک سُہ سَر یَمیُک آب نیرنہٕ پتہٕ کٔشیرٕ ٹھٕ
وزایہ۔ ۲۔ کٔشیرِ ہُند پتھ کالک ناو۔
سٕتر ۱:- اَکھ داں ذاتھ۔
سٕتر ۲:-(< ع: سَتر)۔ ۱۔ پردٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی)
عصمتھ۔ وُچھو "سٕتر" تہٕ۔
سٕتر گاڈ:-(م۔مؤل: سٕترگاڈ < س: سترٕ + گڈ) اَکھ
گاڈٕ ذاتھ۔

سٕتراوُن:-(ن۔مؤل: سٕتراو < س: سَتر)۔ ۱۔ سۆترٕ
کرُن۔ ہموار کرُن۔ کھسہٕ وَس دوٗر کرٕنی۔
(ڈوٗرِس بیتر)۔ ۲۔ پھٕہرِ ریڑٕ لراوُن۔ ۳۔ (ورگہٕ
پأٹھی) مار ڈَنگ کٔرِتھ وَتہِ انُن۔ م: (ورگہٕ
پأٹھی) لُہرُن۔ نُہناوُن۔ لٕرِ پار کٔرِتھ سَمسۆترٕ کرُن۔
سٕترُن:-(ن۔مؤل: سٕتر < س: سَتر)۔ وُچھو "سٕتراوُن"۔
۱۔ (زمین) ہموار کرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی)
سیٖزراوُن۔
سٕترٕ ری:- ۱۔ سۆترٕ آسُن۔ ہموأری۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی)
پھٕنی پھاکٕہ تہٕ وَتھوارٕ چ حالتھ۔
سٕترٕ ری کرُن:- ۱۔ ڈُبہٕ ڈاس کرُن۔ کانٛہہ چیز تہٕ
ڈٔنجہٕ تھوُن۔ ڈٕہتھ نٕین۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) مار
گنڈٕ کٔرِتھ پَسارٕ پاوُن۔ سَخ شَلکھ کرُن۔
سٕترٕ ری گژھُن:- ۱۔ پھٕنی پھاکھ گژھُن۔ واٗران
گژھُن۔ ۲۔ پَسارٕ پیوٚن۔
سُجدٕ:-(ن۔مؤل: سُجد < ع: سُجدۃ)۔ ۱۔ ثُمن (خودایس
بروٗنٹھہ کنہِ) زمینس پٮ۪تھ ڈٔکہٕ تہٕ اتھٕ دِتھ
روزُن۔ پرٕن پیوٚن۔ ۲۔ نمازِ ہُند اَکھ رُکن
یتھ منٛز قبلس کُن بُتھ کٔرِتھ تہٕ زمینس پٮ۪تھ ڈٔکہٕ
دِتھ روزان چھِ۔
سُجدس وَسُن:- نمازِ منٛز قیامہٕ یا قعدٕ پتہٕ سُجدٕ دِنہٕ
باپتھ پان تہٕ کلہٕ نٔمراوُن۔
سُجدے سَہو/ سُجدۂ سَہو:- سُہ سُجدٕ یُس نمازِ منٛز

واَجب پھٹنہِ کنِز التحیات پرٔتھ تہٕ ژھِن گن یوتےُ سلام پھِرِتھ دِنہٕ چھُ یوان۔

سُجدَ ے شُکُر:۔سُہ سُجدٕ یُس خودالیس بروٚنہہ کنہٕ شُکرانہٕ پُرٔھی دِنہٕ ییہِ۔شُکرانچ نماز۔

سُجدٕ دیاوُن:۔آن مأنی راوُن۔

سُجدٕ دیاوُن:۔ا۔ئمن۔زٔمینس ستۍ ڈکہٕ دِتھ روزُن۔ پرن ہیوٚن۔تأظیمہٕ باپتھ ڈکسہٕ دِنی۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) یرٔتھ کرُن۔

سُجدٕ کرٕنی:۔سبٹھاہ عأجزی ہاوٕنی۔سخ زار پار کرُن۔ ڈکسہٕ دِنی۔

سُجدٕ کرناوُن:۔ا۔ڈِکسہٕ دیاوُن۔۲۔آن مأنی راوُن۔

سُجدٕ گاہ:۔ا۔سوجاے یتیتھ سُجدٕ کرنہٕ ییہِ۔یتیتھ نماز پرنہٕ ییہِ۔۲۔خاکہ شفاہَس بنأومژ گول ٹِکی ہِش یتھ پیٹھ اہلِ تشیع نماز وِزِ سُجدس منز ڈکہٕ تھاوان چھِ۔

سُجدٕ گُزار:۔یُس سُجدٕ دِوان آسہِ۔نمازِ گُزار۔پرہیزگار۔

سُخی:۔(مؤل:سخی<ع:سخی)۔ا۔یُس اتھٕ وۄتھ آسہِ۔ فیاض۔یُس نہٕ خرچ کرنس کھوژِ یُس نہٕ کوٚنڈ لاگہِ۔۲۔یُس لُکن ہمدردی کرِ۔ہمدرد۔اتھٕ رٔوٹ کرن وول۔

سُدرِ کانٛز:۔وُچھو ''سوٚدرِ کانٛز''

سُرِشتہٕ:۔(ن۔مؤل:سُرِشت<ف:سُرِشتہٕ<ف: سررشتہٕ)۔ا۔محکمہٕ کُنہٕ محکمُک اَکھ حِصہٕ۔شوٚبہٕ (شعبہ)۔دفتر۔۲۔سلسلہٕ۔

سُرِشتہٕ دار:۔ا۔کُنہٕ محکمُک حأکم۔۲۔یختیار وول۔زٕ وسۆخہٕ وول۔

سُری ا:۔(مؤل:سُری<ف:سَر)۔ا۔درٛوٚدٕ بیترٕ ستۍ کلہٕ پیٹھی دزاہمژ گرٛزبکھ۔سخ پأٹھی کوٚناونہٕ آمٕت۔۲۔ییہِ پیٹھی گوٚمُت آسہِ۔گنٛج زیادتی۔

سُری پیٹھی:۔ا۔کلہٕ پیٹھی۔۲۔گرٛ یکہٕ دزامُت۔

سُری پیٹھی سُہلاب:۔ا۔گنٛج زیادتی (تبأہی ہنٛز یا روپین ہنٛز)۔تیٚوٚت ییمیُک نہٕ اندازے آسہِ۔ یَسلہٕ پأٹھی کانہہ چیز بنُن۔غلبہٕ گی۔۲۔سخ مُصیبتھ ییمہٕ نِشہٕ سبٹھاہ کم موکلن پاے آسہِ۔

سُری کرُن:۔ا۔کلہٕ نلہٕ برُن۔سخ پأٹھی بوڈناوُن یا اُدراوُن۔سولہٕ پأٹھی کأنسہِ کینہہ دیُن۔مالا مال کرُن۔

سُری گرٛھن:۔ا۔کلہٕ پیٹھی گرٛکھ ہیرٕنی (روٗدٕ بیترٕ ستۍ) برنہٕ یُن۔۲۔پیٹھی گرٛھن۔گنٛج زیادتی گرٛھنی۔ یَسلہٕ پأٹھی کانہہ چیز بنُن۔مالامال گرٛھن۔

سُری ناو:۔زٔمین بیترٕ یتھ آبہٕ زاڈ آسہِ گأمژ،یتھ آبہٕ ستۍ گرٛکھ آسہِ دزاہمژ۔

سُری۲ نیلہٕ سُری:۔بگریوٚمُت۔سڑیوٚمُت۔خراب گوٚمُت۔خستہٕ۔

سُری پَنز:۔(م۔مؤل:سُری پنز<س:سَرپن)۔ ا۔سَر پھہٕ ہنٛز ماد۔۲۔شُتلبن ہُند اَکھ قِسم۔

۳۔(ورگہٕ پأٹھی) خطرناک ژٕنی۔

سُرچنی پیٛنز:۔شٕتلی نیرٕنی۔

سُری شور:۔(ن۔مؤل:سُری شور <س: سُریشوری (سرینگرٕ) ڈَل بٕٹھس پیٹھ اکھ اَستھاپنگ ناو۔

سُرج:۔(ن۔مؤل: سُرج <اَنگ سَرج Serge) اَکھ مٕنزلی کپٕر۔

سُرجن:۔(ن۔مؤل: سُرجن <اَنگ :سُرجن Surgeon) ڈاکٹرٕ یُس ژٹہٕ واٹھ کرٕنی زانہٕ۔ سُہ ڈاکٹرٕ یُس آپریشن کران آسہٕ۔جراح۔

سُرجری:۔(م۔مؤل: سُرجری <انگ :سُرجری: Surgery) آپریشن۔سُرجن سٕندٕ اتھہٕ (جسمچ) ژٹہٕ واٹھ۔

سُروِس:۔(م۔مؤل:سُروِس<اَنگ:سُروِسService ا۔نوکری۔مُلازمتھ(یُتھٕ پأٹھی سرکأری)۔۲۔والی بال یا ٹینس بیترِ گِندنَس لگِد رگوڈنکِہ پھِرِ بال دأرتھ دِنی۔

سُروِس بُک:۔(ن۔مؤل:سُروِس بُک <اَنگ: سُروِس بُکService book۔سو کتاب۔یتھ اَندر سرکأری مُلأزِمہٕ سٕنز نوکری تہٕ باقے کتھن ہُنٛد اِندراج آسان چھُ۔

سُروِس دِنی:۔کامہِ لگُن۔بکارٕ ییُن۔

سُروے:۔(م۔مؤل:سُروے <اَنگ۔سُروے: Survey)۔ا۔جائزٕ۔۲۔پیمائش۔

سُش:۔(<دٕچھوستھ)۔آش۔ووٚمید۔

سُشن سُشٕ میٛز:۔ناووٚمیدی گرٕژھنی۔آش نہٕ پوٗرٕ سپدٕنی۔

سُشٕ روزُن:۔ووٚمیز سان بہُن۔آش تھوٚنی۔

سُشٕ کرنہٕ:۔(آشہٕ ستی) پانس تسلی دیُن۔(پانس دِلاسہٕ دِتھ) کینٛہہ کرنُک سوچُن۔

سُفیر:۔(مؤل: سُفیر <ع: سفیر) سُہ افسر یُس بیٛیس مُلکس اَندر پننہٕ مُلکہٕ کین مفاداتن نگرأنی کرِ تہٕ دوٚن مُلکن اَندر شیٛچھ پأٹھی عام اورِ یور واتناوِ۔ بیٛیس مُلکس اَندر کُنہِ مُلکُک ایلچی یا نُمایندٕ۔

سُکرے:۔(مؤل: سُکرے <س: سَکرٕیہَ)۔
ا۔پرہیز۔بیمارس بیتر سُند یہٕ وَیہٕ تی کھیوٚن۔
۲۔پرہیزگأری۔

سُکرے دار:۔ا۔بیمارٕ سٕندِ باپتھ خاص طُرٕ یقہٕ رٕننہٕ آمُت پرہیز سٕتیٚن بیترِ۔۲۔یُس پرہیزس آسہٕ۔ سُکرے لَد۔

سُکرے لَد:۔بیمار بیتر یُس پرہیزس آسہٕ۔

سُگرُن:۔(ن۔مؤل:سُگر <؟)۔ا۔(ورگہٕ پأٹھی) ٹٕلُن۔ ہس دیُن۔کُنہِ کُن زبرٕ دِنی۔کانٛسہٕ کُن حبس دیُن۔ ۲۔نکھس کھسُن۔نٕرٕ ولدُن۔ہلُن۔پبدُن۔

سُلِل:۔(ن۔مؤل:سُلِل <س:سَلِلہَ) آب۔پوٚنی۔

سُلیس:۔(مؤل:سُلیس <ف:سُلیس <ع:سُلیس) سہل عبارتھ۔عبارتھ یوسہٕ ژٕلی فِکرِ ترِ یا یتھ اَندر نہٕ زیادٕ مُشکِل لفظ آسن۔عام فہم عبارتھ۔ آسان لیکھ۔

سٔلیقہٕ:-(ن۔مؤل:سٔلیق<ع:سلیقۃ)۔باش۔تمیز۔ ووتھنگ ییٚہنگ جان طریقہٕ۔رٟتی آداب۔ رُت وُطیر گاٹہٕ جار۔

سُمیر،سومیر:-(ن۔مؤل:سُمیر<س:سُمیرُ)۔ہیٚنٛدہن ہنٛدِ عٔقیدٕ کِنۍ کاینا تَس منٛز باگ لالن تہٕ جوٲہرن ہُنٛد کوہ۔یَتھ پٮ۪ٹھ دِوتا روزان چھِ۔۲۔(ورگہٕ پٲٹھی)یہٕ نہٕ اورٕ یور ڈٲلتھ یا ڈٲلتھ ہیکہٕ۔یہٕ أکی ہے جایہٕ محکم آسہٕ۔۳۔(ورگہٕ پٲٹھی) آمدٔنی ہُنٛد ذٔری یہٕ یُس نہٕ سَہَل سَہَل ژھوکہٕ یا سورِ۔۴۔شۆہٕنہٕ کھوتہٕ کم کینٛہہ رٔتنس پٮ۪ٹھ شُکر گزٲری۔۵۔تسی بیترِ ہُنٛد منٛزیم پھول یا اِمام۔

سُمیر پربَتھ:-(ن۔مؤل:سُمیرٕ پربت<س:سُمیر پَرَوَتہٕ)۔ہندوٗ دیو مالایہ مۆجوٗب کاینا تس منٛز باگ لالَن تہٕ جوٲہرن ہُنٛد پہاڑ۔یَتھ پٮ۪ٹھ دِوتا روزان چھِ۔

سُمیرٕ نی سَتھ:-آش،یوسہٕ نہٕ سورِ۔

سُمرٕ ؤ:-(م۔مؤل:سُمرٕ ؤ<س:سَمِدھ)۔تمہٕ ٹلہٕ مۆرِ بیترِ یمہٕ ہُمس ٹیکنس لگان چھےٚ۔

سُنٛہہ:-(ن۔مؤل:سُنٛہہ<س:سَنیہہ)سرٕ ییٚہہ۔مارے۔ لول۔

سٔنیچر:-(ن۔مؤل<س:شَنیشچر)۔(ورگہٕ)نۆ وۄسَتھ۔منحوٗسی۔

سٔنٛزۆر:-وُچھو"سَن"لفظس تل۔

سٔنٛز گوٗل:-(ن۔مؤل:سٔنٛز گل<س:سَنہ+واٹکا) سُہ علاقہٕ یُس سَرٔس آسہٕ۔پٲیٖنٛگ علاقہٕ۔کشیرِ اَنٛدرا کہٕ پرگنک ناو۔

سٔنٛزوور:-(ن۔مؤل:سٔنٛزوار<س:سَنہ+واٹکا)سُہ علاقہٕ یُس سَرٔس آسہٕ۔پٲیٖنٛگ علاقہٕ۔کشیرِ اندرا کہٕ پرگنک ناو۔

سٔنٛز یاس:-(ن۔مؤل:سٔنٛز یاس<س:سَنیاسَہ)گرٕ بار ترٲوِتھ فقرت۔ترکِ دُنیا۔

سٔنٛز یاسوزِ کتہٕ آسو:-تہٕ دٕپتھ گوتیمٕ دُنی یاترٕ وومُت آسہٕ تَس چھِنہٕ کُنہٕ جایہٕ گرٕ یا ٹھکانہٕ۔یہٕ چھِ پننہٕ نِس کُنرٔس پٮ۪ٹھ بارَ ودِنہٕ وِزِ وَنان۔

سٔنٛز یاس وارُن:-گرٕ بارٕ ترٲوِتھ وَن بیترٕ رٔتنٕ، سٔنٛز یاسۍ بَنُن۔

سٔنٛز یاس ہیوٚن:-وُچھو"سٔنٛز یاس وارُن"

سٔنٛز یاسۍ:-(ن۔مؤل:سٔنٛز یاسۍ<س:سَنٛناسی)جۆگی۔ تارکِ دُنیا۔یمۍ دُنی یاترٕ وومُت آسہٕ۔یمۍ گرٕ بار ترٲوِتھ وَن روٗمُت آسہٕ۔یُس دُنی یاترٲوِتھ یادِ خودا کران آسہٕ۔

سٔنٛجیٖد:-(مؤل:سٔنجیٖد<ف:سَنجیدہ)۔گوبٕہ سان۔یُس مِزاز کِنۍ گوٗب آسہٕ۔سَنہٕ کنہٕ سۆن۔

سٔنجیٖدگی:-(م۔مؤل:سنجیٖدگی<ف:سنجیدگی) گوبر(مزازُک)۔مَنٛک سَنر۔

سٔنٛدٕ ج:-(م۔مؤل:سٔنٛدرج<؟)تِلہٕ گوگُل ہیوٚہ۔ سٔنٛزرِ ہُنٛد اَکھ قسم۔

سُندرِ جَن زالِی دِنۍ تہٕ ہنٛد وہنٛد نیرتھ زالنۍ :- تہٕ ڈیتھ گو اصل راوِرُن تہٕ فرض پتہٕ لارُن۔ پوٚنسہِ وادن حساب تھوٗن تہٕ روپیہِ وادس نہٕ واتُن۔

سُندرِ جہٕ پھلے :- سُندرِ جہٕ ہُند پوشہٕ ڈل۔

سُندرِ جہٕ تیل :- سُندرِ جہٕ کڈنہٕ آمُت تیل۔

سُندرِ جہٕ ڈار :- سوزمین یتھ سُندرِ جہٕ بوٗل وَونہٕ آسہِ آمُت۔ زمین یتھ سُندرِ ج کاشت یِیہِ کرنہٕ۔

سُندرِ جہٕ زالِی دِنۍ :- فضوٗل کتھہٕ پتھ گَج بَخشی لاگنۍ۔ کُنہِ کتھہٕ پزنہٕ پتھی تچھ تچھ کرُن۔

سُندراوُن :-(ن۔ موٗل: سُندراو < س: سم اندھنہ)۔ دانس پوٚن۔ دانس ہیاوُن۔

سُندرُن :-(موٗل: سُندرَن < س: سمِندھ)۔ ا۔ پوٚن (دانس بیترِ) ہیاوُن۔ نارزالُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) تیاے زوٗوراوُن۔ حبس دیُن۔ تلُن۔

سُندرن پھوٗل :- زالُن پھٲلۍ (یُوپاٹھی بُر یا ہکھ) ییم پوٚنس لگان چھہِ۔

سُنزی وَن :-(ن۔ موٗل: سُنزی وَن < س: سنجوٗنہَ) پیٚیہِ زِنٛد کرُن۔ دُبارٕ زِنٛد کرُن۔

سُنزی وٗنی :-(م۔ موٗل: سُنزی وٗنۍ < س: سنجوٗنی)۔ اکھ بوٗٹی ییمہِ ستۍ دپان مورِد چھہٕ زِنٛد گوٚژھان۔ مُ: نوش دارو۔

سُنزی پوش :- اکھ پوشہٕ ذات، اتھ چھُ پھَمب ہیوٗ تہٕ لید ریارِ سان پوش نیران۔

سُنزی ڈَبہٕ :- سنگارکس یُس کس کوٗیہِ بیترِ کھانٛدرٕ بڈ وٚنٛتھ مہرِینہٕ دِوان چھہِ۔ سِنگار دان۔ سُہ ڈَبہٕ یتھ اندر ساز کرنک سامانہٕ آسہِ۔

سُنزی ووٗر :- سُہ نقش دار ڈبہٕ یتھ اَندر ساز کرنک سامانہٕ آسہِ۔

سُنزرَن :- سَنز۔ تیاری (کُنہِ کامہِ بیترِ ہنز)۔

سُنزراوُن :- وُچھو "سُنزرن"

سُنزرُن :-(ن۔ موٗل: سُنزر < س: سج/سَنج)۔ ا۔ کُنہِ کامہِ ہنز تیاری کرٕنۍ۔ کانٛہہ کام شورُ کرنہٕ باپتھ سامانہٕ چارُن۔ ۲۔ روٗد والُن ہیوٚن۔ ۳۔ لڑاے کرٕنۍ ییٚنز، ژوٗنۍ ییٚنز۔

سنٛگی :-(موٗل: سنٛگو < س: سنٛگی)۔ ا۔ ساتھی۔ یُس ستۍ سنٛگ آسہِ۔ ۲۔ شُریکھ۔ بوج۔

سنٛگیت :-(ن۔ موٗل: سنٛگیت < س: سنٛگیت) موٗسیقی۔

سنٛگیت کار :-(موٗل: سنٛگیت کار) موسیقی زانَن وول۔ موٗسیقار۔

سنٛگین :-(موٗل: سنٛگین < ف: سنٛگین)۔ ا۔ کنیُو۔ مِ: سنٛگین درواز۔ ۲۔ (کپر یا گنڈ بیترِ) دوٗر۔ محکم، سخت۔ ۳۔ (لداو بیترِ) پوختہٕ، یہِ نہٕ خام آسہِ، یتھ واریاہ کال نیرِ، یہِ نہٕ سہل سہل آد ستھ ییہِ۔ ۴۔ (سزا بیترِ) سخت، یاد تھاون لایق۔ ۵۔ (جُرم بیترِ) یتھ سخ سزا دِنہٕ ییہِ، یہِ

نہٕ قابلِ معأفی آسہِ۔ ٦۔ (جیلس اَندر) اوک نفری بأنٛدی کوٹھر۔

سنٛگین جُرُم :۔ سُہ جُرُم یتھ سخ سزا کھسہِ۔ جُرُم یُس نہٕ معأفی لایق آسہِ۔

سنٛگین دِل :۔ سنٛگین دِل۔

سنٛگینی :۔ (م۔ مؤل: سنٛگینی < ف: سنٛگینی) دَربر۔ پوٚختہٕ آسُن۔ دوٚر آسُن۔ سوٚن آسُن۔

سُہز :۔ وُچھو ''سُہز''۔

سُہٕل :۔ (مؤل: سُہل < ع: سہل)۔ وُچھو ''سہَل''۔

سُہم :۔ (ن۔ مؤل: سُہم < س: سہتہ)۔ برداش۔ بُہرُن۔ ہٮ۪ہرِتھ ہیکُن۔ ہیہُن۔

سُہم نہٕ ییُن :۔ ہٮ۪ہرِتھ نہٕ ہیکُن۔ جُرتھ نہٕ پیوٚن۔ آرسِنہٕ کنٛہ نہٕ کینٛہہ تہٕ کٔرِتھ ہیکُن۔

سُہی :۔ (مؤل: سہی < ہ: سہی)۔ ا۔ منظوٗر۔ موٗن (کُنہِ کتھِ پٮ۪ٹھ آنٛکارِ پٔژھی وَنان)۔ ۲۔ (کانٛہہ کٲم بیترِ) طے مُقرر۔ مِ: کھاندرکوٚ رُکھ سُہی۔

سُہی کرُن :۔ ا۔ طے کرُن۔ مُقرر کرُن۔ ۲۔ دوہ گنٛڈُن (کھاندرُک)۔ ۳۔ سَنٛز کرُن۔ تیٲری کرٕنؠ۔ ۴۔ (کاروأیی بیترِ) پوٚختہٕ کرٕنؠ۔ ۵۔ توتمہٕ کھارُن۔

سُہی گژھُن :۔ ا۔ طے سپدُن۔ مُقرر کرنہٕ یُن۔ ۲۔ دوہ گنٛڈنہٕ یُن (کھاندرُک)۔ ۳۔ کانٛہہ کٲم اَتھس اَندر انٛنس پٮ۪ٹھ یقرار سپدُن۔

سُہلاب :۔ (ن۔ مؤل: سُہلاب < ف: سیلاب < ع: سیل + ف: آب)۔ ا۔ یُپ۔ سبٹھاہ آب وسُن۔ کولَن بیترِ بٔتھِ پٮ۪ٹھی کھوٚتمت سبٹھاہ آب۔ ۲۔ تبأہی۔ وأراأنی۔ سَم (خاص کٔرِتھ یُس یُپ کھَنہٕ ستیٚ گژھ)۔ یتھ حالتھ یتھ اَنٛدر رتبأہی ییکی پأٹھی سٔری پٮ۪ٹھی گژھ۔ ۳۔ ییہ چھِ تَمہِ وِزِ تہٕ وَنان ییلہِ کُنہِ قسمُچ زیادتی گژھِ یا کینٛہہ وِیوٚ کھمُت درینٛٹھ ییہِ۔ ۴۔ مُصیبتھ۔ ٹوٗٹھ۔ م: ییہ گو سُہلاب۔

سُہلابَس ستیٚ لکُن :۔ یِر گوٚھان گوٚھان کُنہِ جایہِ واتُن۔ (ورگہٕ پأٹھی) نیتھ کٔرِتھ نہٕ واتُن۔ الغأیہ کُنہِ کُن لگُن۔ ہنگتہٕ منگہٕ وأتتھ پیوٚن۔ وارِیاہ کألی خبرِ کتھہٕ کُنہٕ وأتتھ پیوٚن۔

سُہلابس لگُن :۔ (ورگہٕ پأٹھی) گیر گژھن مُصیبتہٕ ستیٚ وَلنہٕ یُن۔ کُنہِ اَنٛد نہٕ اَتھ وَتھ ستیٚ۔ پریشان گژھن۔

سُہلأبؠ نؠ سَرَے :۔ (ورگہٕ) سخ گٹہٕ کار۔ اِنتہأیی مُصیبتھ۔

سُہلاب زَدٕ :۔ ا۔ یُس یُپ کھَنہٕ ستیٚ کُنہِ۔ رَنٛگہٕ نوقصان ووتمت آسہِ۔ ۲۔ مُصیبتھ زَدٕ۔ ٹوٗٹہٕ لَد۔ یُس ٹوٗٹھ آمت آسہِ۔

سُہلاب کھسُن/یُن :۔ ا۔ یُپ کھسُن ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سَم سوٚترٕ گژھن۔ تبأہی تہٕ وُجأری گژھنؠ۔

سُہلأبؠ :۔ ا۔ (زٔمین بیترِ) یتھ یُپ کھوٚتمت آسہِ، ییہِ

یُپ کھسنہٕ ستی خراب گوٚمُت آسہِ۔۲۔سوزٕمین یتھ رٔ دپنہٕ ستی یوت فٔصل بنہِ۔

سٔید:-(مؤل: سٔید <ع: سعید)۔ا۔ آنحضرتنٛ ہنٛز ژُری یاتھ۔آلِ رُسوٗلوأندٕر۔۲۔زیٹھ بُزرگ۔

سیّد الشہدا:-ساری نے شُہیدن ہُند سردار۔ حضرتِ امام حمزؓ سُند اکھ لقب۔

سٔید زادٕ:-سید سُند نچو۔سٔید کوٚٹ۔

سأبقہٕ:-(مؤل:سأبقہٕ <ع: سابقۃ)۔ٹٔکیم۔پڑون۔

سأبقہِ حساب:-ٹٔکیم رٔ دمُت لین دین یا دارہور۔ یہ کینٛژھا ٹٔکیم باقٕے آسہِ (اَمنس کِنہٕ نِس اَندر)۔

سأبقہِ دوٚستوٗر:-پرأنی رواۂتھ یا قأیدٕ۔یہ کینٛژھہ پتھ کنٕ رواج اوس۔

سأتھی:-(مؤل:سأتھی <س: سارتھی)۔یُس ستی آسہِ۔ستی بوج۔دوس۔یار۔ہمراہ۔

سأجُو:-(ن۔مؤل: سأجو <س: سیٲلہ)۔سأج ہُند رٕن۔کولہِ ہُند ہیمہٕ۔

سأحر:-(مؤل: سأحر <ع: ساحر) سِحر کرن وول۔ مأنٛتھرِ گۆر۔رچھ تأویز کرن وول۔جودگر۔ یُس جود کرِ۔

سأحل:-(ن۔مؤل:سأحل <ع: ساحل)سۆدُر بوٚٹھ۔ سمندرُک بوٚٹھ۔کولہِ بوٚٹھ۔دٔریاوُک کِنارٕ۔

سأد:-(مؤل: سأد <ع: سعد)۔ا۔سٔید۔۲۔ساد۔ سنت۔۳۔شُریف۔سیوٚد۔م: چھا سأد کینٛہہ۔۴۔نیکوکار۔حلال کھینہٕ وول۔

سأدمکار:-ا۔یُس زَن سأدلأگِتھ فَنٛد کتھٕ وَنہِ۔ (یہ اُس بروٚنٛٹھ اکھ ٹوٗپی، یِم اُسی گرٕ پتھ گرٕ پھیران)۔۲۔ ٹھگ یُس بُتھی کِنۍ شُریف باسہِ۔۳۔پھیرُون بسأطی۔

سأدمکأری:-فَنٛد ٹھیلہٕ۔جالسأزی۔

سأدل:-(م۔مؤل: سأدِل <وُچھو ساد) ۔ا۔ سادٕ ہٕندی ہی کرتوت۔سادٕ سُند ہیوٗہ ورتاو۔سبزٕ پۆزٕر۔شرافتھ۔۲۔(ہزلہِ پأٹھی) سادآسنُک اپُز مُظاہِر۔

سأدٕر وار:-(مؤل: سأدٕر وار <س: سارُدٕر+ ویدک س:وار) تازٕ۔یُس نہٕ بی آسہِ۔

سأڑی:-(م۔مؤل:سأڑی <پڑاکرت:ساڑی <س: شاٹی)۔ا۔(زنانہٕ) دوٗتی۔۲۔رٲشمی وُڑنی۔ دوڑٕ پلو۔

سأر ا:-(ن۔مؤل:سأر <ع: سیر)۔ ہواخوٗری یا دِل بُہلأیی باپتھ چَکر ، گرٕدِش۔ چکرس نیرُن۔ پھیرُن۔ تھوٗرُن۔کأنٛہہ مشہوٗر جاے ہیتھٕ وچھنہٕ گۆژھن۔

سأر کرُن:-دِل بُہلأیی ہیتھٕ باپتھ چکرس نیرُن۔ گرٕدِش کرُن۔پھیرُن تھوٗرُن۔

سأر ۲:-(م۔مؤل: سار <س: سار) سارنٛچ کأم۔ اوٚرِ یورنٛچ کأم۔ژُلأے۔م:لاکہٕ سأر۔

سأر۳:-(م۔مؤل: سار<س: سارَ) اَتھو بیترِ ستیٚ سارنچ کأم۔ کانْہہ چیز اَتھِ بیترِ ستیٚ مۆحسۆس کرنچ کأم۔ اَتھِ ستیٚ وۆچھنچ کأم۔ تلأشی۔

سأراب:-(مؤل: سأراب <ف: سیراب)۔اَبہٕ سٔری سٔری گومُت۔

سأراب کرُن:-۱۔سگہٕ وُن۔آبہٕ سٔری کرُن۔ ۲۔سٔری کرُن(کانْہہ چیز یَسلہٕ پأٹھی دِتھ)۔

سأرِنۍ:-(م۔مؤل: سأرِن<س: سارَ)۔۱۔لاکولاکو سارنچ کأم۔ہَنہٕ ہَنہٕ ژۄرِنچ کأم۔۲۔اَتھِ بیترِ ستیٚ سأرِتھ وۆچھنچ کأم۔۳۔آب بیترِ رأسی گژھنچ عمل۔آب نیرِتھ ژۄنچ عمل۔

سأرِنۍ لگٕنۍ:-آب بیترِ وارِ وارِ رأسی گژھن۔آب نیرِتھ ژُلُن۔

سأرِنۍ ہینۍ:-کتھ کڈٕنۍ۔کتھِ کتھِ منٛز اصل راز وَنہٕ ناوُن۔ووٚنہٕ ہیوٚن۔

سأری:-(<س: سَر/سارَ)۔پرٛتھ کانْہہ۔پرٛتھ اَکھ۔ یُس ووٚنہٕ۔یُہُنٛد ذِکر آسہٕ تمو اندرٕ پرٛتھ اَکھ۔

سأری کران پانٕیو پانٕیو جُملیٚوٕنہٕ کران کانْہہ:-تہٕ ژٕ وُتھ گوٚ پرٛتھ کانْہہ پنٕنہٕ نِسے غرضس سَنان تہٕ بیٚیہٕ سُنٛدٕ نہٕ پرٕوٚ ہے کران،ہیرٛتہٕ ہوان۔

سأری ہے:-پرٛتھ طرفس۔پرٛتھ انٛدٕ۔پرٛتھ کُنہٕ وَتہٕ یا انٛدس۔ژۄواپأری۔

سأزش:-(م۔مؤل: سأزِش <ف: ساز،سازِشی) ژۄے۔اَٹ۔سازباز۔

سأکِن:-(مؤل:سأکِن<ع: ساکِن)۔۱۔ٹھہرِتھ بُستھ۔کُنہٕ جایہ رۄزِتھ۔۲۔رُکتھ۔اَکی جایہ قرار کٔرِتھ۔ٹھکھ دِتھ۔

سأکِن دَر:-روزن وول۔بُسکین۔مأِلکھ۔

سأکھی:-(مؤل:سأکھی<س:ساکشی)۔گواہ۔شأہد۔ شہادتھ دِنہٕ وول۔

سأکھشی:-وُچھو"سأکھی"

سأل:-(ن۔مؤل:سأل<ع:سیر)۔وُچھو"سأرا"

سأل کرُن:-وُچھو"سأر کرُن"

سألاب:-(ن۔مؤل:سألاب<ع:سیِل+ف:آب) وُچھو"سُہلاب"۔

سألان:-(ن۔مؤل: سألان<ع: سَیلان)۔اَکھ جنسی بِمارِ ہُنٛد ناو۔یتھ اَنٛدر پیشاب نالہٕ کِنۍ قطرٕ قطرٕ داتھ پکان چھُ۔داتھ نیرتھ ژۄنچ بِمأری۔ جریان۔

سألأنی:-۱۔یُس سأل کرنہٕ آمُت آسہٕ۔سیاح۔یُس گرِدِشس وژامُت آسہٕ۔سَرسٔری نظر گۆزرِ۔

سألأنی یُن:-سَر سٔری نظر گۆزر دِنہٕ یُن۔پیٹھہٕ پیٹھی نظر گذر دِنۍ تہٕ نیرُن۔

سأِلک:-(مؤل:سأِلک<ع:سأِلک) پکن وول۔(رۆحأنیتہٕ چہٕ وَتہٕ)۔(صۆفی ین ہٕنٛدی کِنۍ) رۆحأنی سفر کرن وول۔صۆفی۔دَرویش۔

سائِلم:-(مؤل: سائِلم <ع: سائِلم)۔ ثوبوتھ شرٛ ؤنٛتھ پۆرٕ۔ یِہ نہٕ کھٗنٛڈۍ پھٹ بیترِ آسہِ۔ یتھ نہٕ حِصہِ بیترِ کرنہٕ آسن آمتۍ۔

سائِلی وُڈٕنی:-زاۭوِیُل ووڈٕ پلو (یُس سالہِ بیترِ وِزِ وِزِ یوان چھُ)۔

سائمی:-(ن۔مؤل: سائمی <س: سوٗامی)۔ ا۔آغہٕ۔ مأنکھ۔۲۔خانہٕ دار۔ برتھا۔

سائٖنپُن:-(ن۔مؤل: سائٖنپن <س: سَمپنہٕ۔ سَمپدکہ) ا۔سپدُن۔ بٔنُن۔ گژھن۔۲۔گدرُن۔ پانس گُن سۆمبرِتھ ثُین۔ اورٕ یورٕ سۆمبرِتھ اَنُن۔

سائٖنپن:-(ن۔مؤل: سائٖنپ)۔ سائٖنپُن۔ پانس گُن سۆمبرِتھ ثُین۔

سائٖنتہٕ نَتھ:-(م۔مؤل: سائٖنتہٕ نژ<ع: سلطنتہٕ لفظُک بِگار)۔ راش۔ وَنہٕ دَولتھ آسُن بسُن۔ واش نداش۔

سائٖنڈر:-(م۔مؤل: سائٖنڈر <س: سَنانہ درٛونی) سو جاے یَپارٕ ژھیٚنٛڈ ووٚنی بیترِ نیران چھُ۔ چوکس بیترِ اَنٛد رگنٛڈنہٕ آمُت بدر رد۔

سائٖنکراتھ:-(م۔مؤل: سائٖنکرات <س: سَم کرانتہٕ) ا۔ بسری یگ اکہِ گرٕ نیرِتھ بیٚس گرس اَژُن۔ بسری یگ گرٕ بدلاوُن۔ ۲۔ گوڈنیُک تأریخ (رہتک)۔ رہتک گوڈنیُک دوہ۔

سائٖنکراتھ دَرٕنی:-سائٖنکراژ دوہہٕ فاقہٕ تھوٗن۔

سائٖنکراتھ ہیٚنٛز:-سائٖنکراژ دوہہٕ فاقہٕ تھوٗن تہٕ پۆزا پاٹھ بیترِ کرُن۔

سائٖنگی:-(مؤل: سانگی <س: سَمہٕ+اَنٛگہ) یُس سانگ لاگہِ۔ ڈامبل۔

سائٖنگرُن:-(ن۔مؤل: سائٖنگر <س: سَم: گھرٕا)۔ ا۔(دودہٕ بیترِ) پھیرُن۔ دودتہٕ آب اَلگ اَلگ گژھن۔۲۔ششرٕ ستی کاٹھی گژھنی۔ لِگتھ گژھن (ٹلہٕ کترِ ستی)۔۳۔ہگرُن۔ پٹ گژھنی۔

سائِیس:-(ن۔مؤل: سائِیس <ع: سائِس)۔ ا۔گُرٕ رچھن وول نوکر۔ یُس گُرِس دانہٕ بیترِ کھیاو۔۲۔یُس سوارس برونٛتھ برونٛتھ گُرس تھپھ کٔرِتھ آسہِ۔

سائِیل:-(مؤل: سائِیل <ع: سائِل)۔ ا۔منگن وول۔ وومیدوار۔۲۔ درخاس دِنہٕ وول۔ یمٚی درخاس دِیٚژمُت آسہِ۔

سِپر:-(ن۔مؤل: سِپر <ف: سپر)۔ ڈال (یتھ پٹھ سِپاہ دُشمَن سنٛزٕ تلوارِ ہُنٛد دب رَٹان چھُ)۔

سِپار:-(م۔مؤل: سِپار <ف: سِپارہ۔ سیپارہ)۔ قرآنہٕ شریفُک ترٛیہِم جُز یا حِصہٕ (قرآن شریفس چھِ ترٛہ جُزتہٕ پرتھ اَکس حِصس چھِ سِپار وَنان۔)

سِپاسنامہ:-(ن۔مؤل: سِپاسنام <ف: سِپاسنامہ) سُہ تحریر یُس کأنسہِ بجہٕ ہٕسی تہٕ تأریفہٕ رٔنٛگی پیش یِیہِ کرنہٕ۔

سِپاہ:-(ن۔مؤل: سِپاہ <ف: سِپاہ) پُلسہٕ وول یا جنگی۔

سِپاہ سالار:-(مؤل: سپاہ سالار <ف: سپاہ سالار)
فوجُک ساری وِے کھوتہٕ بوٚڑ افسر۔

سپیچ:-(ن۔مؤل: سپچ <اَنگ: اسپیڈ Speech)
تقریر۔

سِپیڈ:-(م۔مؤل: سِپیڈ <اَنگ: سپیڈ Speed)
رفتار یُتھ پأٹھی موٹرٕ ہیترٕ نک)۔

سپیکر:-(مؤل: سپیکر <اَنگ: سپیکر Speaker)
ا۔ سُہ عوٚہدٕ دار یُس اَسمبلی یا اَیوانچہ کاروأیی ہنٛز
صدارت کران چھُ۔ ۲۔ ریڈیو ہیترٕ ٹیک سُہ
آوزار یمہٕ مٔنزی آواز تھٕر راونہٕ ہتہٕ نیران چھےٚ۔

سِپہٕ:-(مؤل: سِپ <ف: سفت)۔ا۔ آیہٕ نشانس پٹھ
(تیر یا گوٚلۍ ہیترٕ)۔ ٹھِپہٕ۔ چسپان۔۲۔ (ٹھانہٕ
ہیترٕ) پوٚرٕ، یتھ نہٕ گُنہٕ کُنۍ وَژھر ہیترٕ آسہٕ۔
چأرِتھ۔۳۔ ژٕژہٕ۔ دَبہٕ۔

سِپہٕ بہٕن:-ا۔ ٹھانہٕ ہیترٕ پوٚرٕ پأٹھی بند کرنہٕ یِن۔
۲۔ ژٕژہٕ بہٕن۔۳۔ (کتھہٕ ہیترٕ) برابر ترٛۍ۔

سِپہٕ کرُن:-ا۔ ٹھانہٕ ہیترٕ پوٚرٕ پأٹھی بند کرُن۔ گُنہٕ
کُنۍ نہٕ وَژھر یا کھرٕٛ پھ ہیترٕ تھٔونی۔۲۔ آیہٕ
کرُن۔ نشانس پیٹھ لایُن۔

سِپُن:-(ن۔مؤل: سِپ <ف: صفت)۔ا۔ سِپہٕ کرُن۔
آیہٕ بِہناوُن۔ نشانس پیٹھ لگاوُن۔ ۲۔ پوٚرٕ
پأٹھی بند کرُن (ٹھانہٕ ہیترٕ)۔ چأرِتھ تھوُن۔

سِپیشل:-(مؤل: سپیشل <اَنگ: سپیشل Special)۔
خاص۔

سِپرِٹ:-(ن۔مؤل: سپرٹ <اَنگ: سپرٹ) اَکھ
نشہٕ دار ماژ یُس کٔڈنہٕ آمُت سُہ تزٕل حِصہٕ یُس
زالنہٕ یوان نہٕ زخم ہیترٕ صاف کرنس لگان چھُ۔
یہٕ چھُ پألشہٕ ہیترٕ ترٛٲوتہٕ رَلاونہٕ یوان۔

سِپرِنگ:-(ن۔مؤل: سپرنگ <اَنگ: سپرنگ
Spring) کمان۔ تارٕ وُٹھتھ بناونہٕ آمٕژ کمان
یوسہٕ چار رَٹان چھےٚ۔

سِتَم:-(ن۔مؤل: سِتم <ف: سِتم)۔ جَبر۔ سختی۔ ظُلم۔
یذاہ۔

سِتَم گر/سِتَم گار:-ا۔ یذاہ دِنہٕ دول۔ ظاٗلم۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) ماشوق۔

سِتارٕ:-(ن۔مؤل: سِتار <ف: ستارہ)۔ا۔ تارُک۔
۲۔ (ورگہٕ) نصیبہٕ۔ قِسمتھ۔ طالع گرٛہن ہند ٹیک
اثر۔۳۔ ڈبکُک اَکھ وَس۔ تارَکھ شکلہٕ کانٛہہ
وَس یا سجاوٹُک سامانہٕ۔

سِتارٕ آسُن:-قِسمتھ آسُن۔ نصیبہٕ جان آسُن۔ جان
گرٛہہٕ آسُن۔

سِتارٕ باگے:-جوتشہٕ مۆجوٗب گرٛہن ہنٛد حساب۔

سِتارٕ پرٕ زلُن:-رِتی دوہ پھیرٕ نی۔ اِقبال یُن۔

سِتارٕ پھیرٕنی:-جان دوہ ترٛۍ۔ جان گرٛہہٕ یُن۔

سِتارٕ ٹھوٚل:-گوٚوٕس یا تپلس پیٹھ تلنہٕ آمُت ٹھوٚل۔

سِتارٕ دار:-یمہٕ کٔڈنک اکھ ڈزأن۔

سِتارِ ڈُلن :-شِکس یُن ۔کو دوہ ہیٚنٛز۔

ستارِ کھسہِ وُن آسُن :-ترقی ہِندی دوہ ہیٚنٛز۔رُت نُصیبہٕ آسُن۔

سِتارِ گولہٕ:-ا۔اکھ آتش بازِ ہُند ناو، یہِ چھُ زالنہٕ وِزِ آسمانس کھسان۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)سرٛ ڈٔٹھے اُبٕز۔نیٚولے ٹرٛ۔راد۔

سِتار گولہٕ برٛتھ دِنٛی / لاینٛز:-ٹروٚنٛز۔تیٚز ہ کتھ کرنہٕ یمہٕ نہٕ بہنہِ لایق آسُن۔

سِتیٖجہٕ :-(ن۔مۆل: سِتیٖج <ف:ستیزہ)ستاو۔

سِتیٖجہٕ تُلُن:-ستاووُتھن۔جبر یُن۔

سِتھ :-(ن۔مۆل: سِت < آوازِ پٔٹھ)۔(أسہِ أندرٕ دزٕ امُت)لوٚت صدا،لوٚتٕ آواز۔کتھ بیترِ کرن وِزِ کہِ پٔہن ژرٕ ہیوٚہ ژٕس۔

سِتھ دِتھ نہٕ کرُن:-أسہِ أندرٕ نہٕ شاہ تہِ کڈُن۔ کرٛتھ تہِ نہٕ کرُن۔صدلتہِ نہٕ کرُن۔دَم کرُن۔

سِٹونو:-وُچھو"سِٹینو"

سِٹیپل :-(ن۔مۆل: سٹیپل <اَنگ: سٹیپل Staple پوٹ ہیوٚہ اَکھ کیٛر۔

سِٹیتھسکوپ:-(ن۔مۆل: سٹیتھسکوپ <اَنگ: سٹیتھسکوپ Stethoscope)شوٗشُس، دِلس بیترِ گٔن دِنک ڈاکٹری آوزار۔

سِٹیج :-(ن۔مۆل: سٹیج <اَنگ: سٹیج۔Stage)

ڈوٚنگ،پنٛڈ یا بٔڈ چوٚکر بیترِ یتہِ پٔٹھ کانٛہہ پأتھر ہاونہٕ یِیہِ یا تقریر بیترِ کرنہٕ یِیہِ۔تھرٕ پنڈال۔

سٹیج اکٹر :-ا۔پأتھرٕ گوٚر۔یُس سٹیجس پٔٹھ پأتھر لاگہِ۔یُس سٹیج ڈراماہس أندر کام کرِ۔

سِٹیج ڈراما:-ا۔ناٹک یا پأتھر بیترِ یُس سٹیجس پٔٹھ لاگنہٕ یِیہِ۔۲۔سٹیجس پٔٹھ ہاوُن لایق ڈراما۔

سِٹیج کرُن:-پأتھر لاگُن۔ڈراما کرُن(سٹیجس پٔٹھ)

سِٹیج لاگُن:-پأتھر لاگنہٕ باپتھ ڈُنٛگس پٔٹھ سامانہٕ بیترِ وہراوُن۔تقریر بیترِ کرنہٕ باپتھ ڈوٚنگ بناوُن۔ پنڈال شیرُن۔

سِٹیڈیم:-(ن۔مۆل: سٹیڈیم <اَنگ : سٹیڈیم Stadium)۔کھیلہِ ہُند مأدان۔یتھ ژوٚو پأرٕ وُچھن والین ہِندِ خأطرٕ ہیرٕ پاوٕن ہِندی پأٹھی بہن جایہِ کھأرِتھ آسان چھےٚ۔

سِٹیشن :-(ن۔مۆل: سٹیشن <اَنگ: سٹیشن Station)۔ تھانہٕ۔کُنہِ چیزُک ٹھِکانہٕ۔کُنہِ قسمٕچ کانٛہہ مُستقِل جاے۔خاص جاے۔م: ریڈیو سٹیشن۔ ریلوے سٹیشن۔پُلیس سٹیشن۔

سِٹینو(گرافر):-(مۆل: سٹینو گرافر <اَنگ: سٹینو گرافر Stenographer)شارٹ ہینڈ زانن وول۔شارٹ ہینڈ تہِ ٹایپ زانن وول۔

سِٹینڈ :-(ن۔مۆل: سٹینڈ <اَنگ : سٹینڈ Stand) ا۔یٚتھ تہِ یتھ پٔٹھ کانٛہہ چیز ڈررأوِتھ تھوٚنہٕ یِیہِ۔یتھ پٔٹھ کانٛہہ چیز وودنہِ تھوٚوِزٕ۔۲۔اَڈٕ۔

سو جاے ییٚتہِ تھ گاڈۍ بیٚترِ سوارِ تٕلنہٕ تہٕ ژاونہٕ باپتھ ٹھٕہران چھےٚ۔

سٕٹ :-(ن۔مؤل:سٕٹ<س:اَستھِ)۔ کٔچہ یِمہٕ دود مٔنڈنہٕ چہٕ کیہٕ ہٕنزٕ رٕزِ گٔنڈِتھ آسان چھےٚ تہٕ یِمن لٔمنہٕ سٕتۍ دون ژان چھُہ۔

سِر، سِیر :-(ن۔مؤل:سِر<ع:سِر)۔ ۱۔ راز۔ کتھ یوسہٕ اَکِس بیٚیِس نِش کھٹِتھ تھوٗنۍ لایق آسہِ۔ کتھ یوسہٕ نہٕ اَکِس بیٚیِس باوٕنہٕ یِیہِ۔ ۲۔ یہِ ژٕوٚرِ آسہِ۔ یہِ کھٹِتھ آسہِ۔ یہِ نہٕ نوٚن کڈنہٕ یِیہِ۔

سِرٕس سر پوٗش :-۱۔(ورگہٕ پٲٹھۍ) عٲبَس وُرُن۔ ۲۔ یُس کٲنٛسہِ ہِندِس عٲبَس وُرُن کرِ۔ یُس کٲنٛسہِ ہُنٛد سِر رٔچھِ۔ ۳۔ خانہٕ دار۔ برتھا۔ رٕوٗن۔ زامٕتُر۔

سِرٕس فاش کرُن :-۱۔ راز نوٚن کڈُن۔ ۲۔ کھٹِتھ لایق کتھ نَنہٕ وانہٕ وَنٕنۍ۔

سِرٕس فاش گژھُن :-رازٕ نوٚن گژھُن۔ اَندرِم ہٕبر پیٚنۍ۔

سِرٕ بوج :-۱۔ راز دار۔ یُس سِر بٲوِ نہٕ۔ یُس نِش پٔتُن سِر ظٲہر گٔژھِ نہٕ۔ ۲۔(ورگہٕ پٲٹھۍ) بٲژ۔ زَنانہٕ یار رٕوٗن۔ یار۔

سِرٕ سان :-ژٕوٚرِ پٲٹھۍ۔ گُٹھۍ گُٹھۍ۔ کٲنٛسہِ کٔنِس کُن خبر کرنہٕ ورٲے۔

سِرٕ کتھ :-۱۔ سو کتھ یوسہٕ نہٕ اَکِس بیٚیِس بٲوِ نہٕ۔ کتھ یوسہٕ نہٕ اَکِس بیٚیِس تِھی وَنٕنۍ لایق آسہِ۔

۲۔ پیرٕ سُنٛد دوٚپ۔ مورشدٕ سُنٛد ارشاد۔

سِر باوُن :-راز وَنُن۔ سِرٕ کتھ وَنٕنۍ۔ تِژھ کتھ وَنٕنۍ۔ یوسہٕ نہٕ عامس منٛز وَننہٕ یِیہِ۔

سِر پھٹُن :-سِر نوٚن گژھُن۔ راز انشا گژھُن۔

سِراج :-(ن۔مؤل:سِراج<ع:سِراج)۔ ژٔنٛگ۔ یُس چٔمرٕ ہٕنٛز چیز کٔنان وِنان آسہِ۔ چٔمرٕ بٲپٲرۍ۔

سِراَج :-(م۔مؤل:سِراَج) کٲشرِ زبانۍ ہٕنٛز اَکھ بٔڈۍ یوسہٕ ڈوڈٕ اضلہٕ کِس سِراج علاقس اَندر بولان چھےٚ۔

سرٲئی :-(م۔مؤل:سرٲئی<س:شرِ ستھلہٕ)۔ کلہٕ ہیر۔ سرٲئی ژٔنٛنۍ۔ کلہٕ ہیر تُلِتھ نِنۍ۔

سِری کانٛت :-(ن۔مؤل:سِری کانٛت<س:سوٗریہ کانتہ)۔ اکہٕ قسمُک کرانکھ یُس سِری ہٕنٛز پٕزٕ زا کرن وِزِ اَرپن کران آسۍ۔

سِری نگر :-(ن۔مؤل:سِری نگر<س:شرٕی نگر)۔ کٔشیرِ ہٕنٛز (رِیتہٕ کالِچ) رازٕ دٲنۍ۔

سِرنٛج :-(م۔مؤل:سِرنٛج<اَنٛگ:سِرنٛج) اِنجکشن کرنٕچ پچکٲرۍ۔ پچکارِ چالہٕ ڈاکٹر سُنٛد اَکھ آلہٕ یِمہٕ سٕتۍ سہ بیمارس اِنجکشن کران چھُہ۔

سرُن :-(ن۔مؤل:سرن)۔ گاسہٕ ژھبٕتھ یوسہٕ دلنہٕ چھومبہٕ وِزِ نیران چھےٚ۔

سرٕیُن :-گاسہٕ یا ژھبٕتھ بیٚترٕ یوسہٕ گیٚن چھومبِتھ پتھ گٔن موژان چھےٚ۔

سِری وُوٚٹز:-(ن۔ مؤل: سِری وَٹز)۔ بٔہرٕ مَنٛز سُہ کمرٕ
یتھ أندر شونگان چھِ۔

سِری یہٕ، سِری:-(ن۔ مؤل: سِری یہٕ <س: سوٗریہ)
ا۔ آفتاب۔ رَو۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) تھدِ پایُک
گاٹُل یا عالِم۔

سِری یَس ژ ونگ ہاوُن:-ا۔ کانٛسہِ تھٔزِ ہٕسی سٕتۍ
مُقابلہٕ أکِس کم پایہٕ شخصہٕ سُند لۄبر ہاوُن۔ ۲۔ زانٛن
وأل‍ی سٕے ہیٚچھناوُنہٕ یِنُن۔ ۳۔ (مُقابلہٕ کرٕنٛچ) عبث
کوٗشش کرٕنۍ۔

سِری یہٕ کھسُن:-ا۔ آفتاب نوٗن نیرُن۔ گاش یا تاپھ
پیوٗن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) تیُتھ کینٛہہ سپدُن یِیمہٕ نہٕ
وومیدٕ آسہٕ۔ تیُتھ کانٛہہ ٹوٗٹھ یا بوٗڈ ڈسمکھُن یِیمیٚ
ہِنٛز نہٕ برانٛچھے آسہٕ۔

سِری یہٕ لوٗسُن:-آفتاب لوٗسُن۔ آفتاب وَسُن۔

سِری یہٕ مَنٛڈل:-(ن۔ مؤل: سِری یہٕ منٛڈل <س:
سوٗریہ مَنٛڈلَہ) ا۔ سِری یُک کوٚر۔ ۲۔ نظامِ
شمسی۔ سِری یہٕ تہٕ تٔمۍ کرِ ہدی۔

سِری یہٕ وَسُن:-آفتاب لوٗسُن۔

سِرسأوی۔ سِرسأے ا:-(ن۔ مؤل: سِرسابے <س:
سَرشپہٕ)۔ ا۔ رَژھا۔ پیٚٹھوا۔ مویا۔ م: أکھ
سِرسأے تہٕ دِمَس نہٕ۔ ۲۔ زمین میٚنہٕ ٹنک أکھ
میٚژ یا پیمانہٕ۔

سِرسأے ۲:-(مؤل: سِرسابے)۔ پُراسرار۔ یہٕ نہٕ
یتھ پأٹھی فکرِ تٔرِ یا بوٗزمَنٛز یِیہٕ۔

سِرقہٕ:-(ن۔ مؤل: سِرق <ع: سِرقتہ)۔ کانٛہہ چیٖز
ژوٗرِ نیٖن۔ ژوٗر۔

سِرکہٕ۔ سِرکھہٕ:-(ن۔ مؤل: سِرک <ف: سِرکہ)
أکہِ قسمُک ژوکبر یُس وَچھِ بیترِ خٔمبہٕ کھأرِتھ
بناونہٕ یوان چھُ۔

سِرکھٕ ٹنگ:-ٹنٛگن ہُنٛد أکھ قسم۔ أکھ ژوٚک ٹنٛگہٕ ذاتھ۔

سِکنٛدَر:-(ن۔ مؤل: سِکنٛدر <یوٗنأنی: الیکزنڈر۔
Alexander)۔ أکھ مشہوٗر یوٗنأنی بادشاہ۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) خوش قسمتھ، آسن وول۔ اُسپر۔

سِکارف:-(ن۔ مؤل: سِکارف <اَنگ: سکارف)
ا۔ دُج یُس گردنہِ تہٕ پھکیٖن پیٚٹھ ترٛاوان چھِ
(سکاوٹ بیترِ)۔ ۲۔ کلہٕ دُج (زنانن ہُنٛز)۔

سِکاوَٹ:-(مؤل: سِکاوٹ <اَنگ: سکوَٹ)۔
ا۔ سَر بیڈن پاوَل ہِنٛز بناونٕ مِژ تنظیمہٕ ہُنٛد
روٗکن۔ یُس ہٕ شُربن تہٕ نوجوان پٔرتھ کُنہِ
ازمأیشہِ منٛز پوٗر وُتھرُنٛچ تربیتھ (ٹرینِنگ)
دِوان چھے۔ ۲۔ دُشمن ہِنٛدِس علاقس أند رژرٕ نہٕ
وول سپاہ بیترِ۔

سِکہ یأنی:-سِکہٕ بابے۔

سِکیٖم:-(م۔ مؤل: سِکیٖم <اَنگ: سکیٖم Scheme)
ا۔ تدبیر۔ ۲۔ چال۔ ژھومب۔ ٹب۔ ژھلم۔
۳۔ فوٗجی قوأید (یتھ أندر سپاہ بیترِ جنگ لڑٕنک

ریہرسل چھِ کران)۔

سِکلینجہِ :-(ن۔مؤل: سِکنج <ف: شِکنجہِ) ۔ا۔ چھانہِ سُند اَکھ سامانہِ ییمہِ سِتؠ سہ چارچوبہِ بیترِ چاران چھُ۔ شِکنجہِ ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) کاٛژ۔کابہِ تان۔

سِکلینجہِ کرُن :-(ورگہٕ پاٹھی) کاٛژ کرُن۔کابہِ تاٛن کرُن۔

سِکلینجہِ گژھُن :-ا۔کاٛژ گژھُن۔کابہِ تاٛن گژھُن۔ اَکہِ ہےجایہِ بنٛد ہیٛوٚہ گژھُن ۔۲۔چارنہٕ یُن۔

سِکہٕ :-(ن۔مؤل: سِک <ع: سِکتہ)۔ا۔روپے پاٚنسہِ بیترِ۔خاص طریقہِ کرِنہٕ آمُت داتہٕ ٹُکرٕ یتھ سرکاٚرؠ ضرب آسہِ تہٕ یُس ہنٛبس اِکنہِ نُس منٛز ورتاونہِ یُن ۔۲۔ضرب۔مُہر۔ٹھپہِ ۔۳۔(ورگہٕ پاٹھی) روبہِ داب۔دبدبہِ۔دلہِ۔

سِکہٕ بیہناوُن :-اَہرٕ تھوُن۔روبہِ داب تھوُن۔ دابہٕ تھوُن۔

سِکہٕ لگُن :-(ورگہٕ پاٹھی) ناو نیرُن۔ شوہرتھ گژھنؠ (کاٚنسہِ ہنٛز)۔مشہوٗر گژھُن۔ ناوٗن نیرُن (کانٛہہ)۔

سِکیل :-(م۔مؤل: سِکیل <اَنگ : سکیل Scale) میٖژِ پٹھ ، خاص کرِتھ سو میٖژِ پٹھ ییمہِ سِتؠ جامٹری ہنٛدی نقشہِ بناونہٕ یِن۔

سِکو :-(م۔مؤل: سِکو <؟ع: سِکتہ) ۔ اکہِ قِسمُک ڈبکہِ ٹِکہِ۔ کلس گنٛڈنچ بُنٛدی یتھ چوٚنہِ یا ہنٛدر بیترِ جُرتھ آسن۔

سِکرین :-(ن۔مؤل: سِکرین <اَنگ : سکرین Screen) سُہ پرٛدٕ یتھ پٹھ کُنٛیک عکس تراونہِ یوان چھُ۔سینٛما یا ایکسرے بیترٕ ٕیک پرٛدٕ۔

سِکھ :-(ن۔مؤل: سِکھ <س: شِشیہٕ/شکشہ۔ م: پراکرت :سِکھ) گرُو نانک ہنٛدِ مذہبُک پاٚرو کار۔سِکھ مذہب ماننؠ وول۔

سِکھاشاہی :-ا۔سِکھ راج۔سِکھن ہنٛز پادشاہی۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) بےبوٗج۔ناپُرسان۔

سِگار :-(ن۔مؤل: سِگار <اَنگ : سِگار Cigar) چُرٹھ۔اکہِ قِسمُک بوٚڈ سِگریٹھ،اَتھ چھِ کاکدٕ بدل تماکُہ کِ وٚتھرے وٚلتھ آسان۔

سِگری :-(م۔ہؤل: سِگری <مُ+ہ : سِگڑی)۔ اَنٛگیٹھی ۔ژٕنہِ چوٚلہِ۔مَنقل۔

سِگریٹھ :-(ن۔مؤل: سِگریٹ <اَنگ: سگریٹ Cigarette)۔گول کرِتھ کاکدٕ پٹرس بوٚرمُت تماکُہ کِ چوٚرٕ ییمیُک دٕہہ نہٕ یوان چھُ۔

سِگریٹھ بٹ :-چٕنہٕ آمتہِ سِگریٹُک اَخری حصہِ۔ اَڈٕ دوٚد سِگریٹھ یُس ترٛاوِتھ ژٕھننہِ یوان چھُ۔

سِگریٹھ ڈٔبؠ :-سو (کاکدٕ) ڈٔبؠ یتھ اَندر سِگریٹھ بٕرتھ چھِ آسان۔

سِگریٹھ کیس :-بچوٚ یا ٹینو بیترِ لوکٹ ڈٔبہِ یتھ اَندر سِگریٹھ تھوان چھِ۔

سِگنل :-(م۔مؤل: سِگنل <اَنگ :سگنل Singal)

گاش ہاوُتھ یا سیٹی بیتر کٔرِتھ دِنہٕ آمُت اِشارٕ۔ اِشارٕ۔ گُنہٕ کُن ظون۔ حبس۔

سِل:۔(م۔مؤل: سِل <پراکرت: سِلا < س: شِلا) ا۔ پٔچ گٔنۍ۔ تہٕ پٹھ کانٛہہ چیز گہان چھِہ۔ پاتر۔ ۲۔ پھٔشہٕ گٔنۍ۔ تیزی۔ بلو۔

سِلاح:۔(ن۔مؤل: سِلاح <ع: سِلاح)۔ جنٛگی ہتھیار۔ تیر۔ تلوار یا بونٛدوق بیتر۔ سامانہٕ یمہٕ سٟتۍ جنگ لڑنہٕ یوان چھُہ۔

سِلاح سامانہٕ:۔ ہتھیار بیتر۔ جنگی سامانہٕ۔

سِلاح سامانہٕ گنٛڈُن:۔ا۔ جنگس نیرنہٕ باپتھ ہتھیار بیتر چارُن۔ ۲۔ سٔنز کرُن تیارٕی کرٕنۍ۔

سِلأے:۔(م۔مؤل: سِلاے <ہ: سِلایی)۔ا۔ ٹیب (یُتھ پأٹھۍ مشینہٕ ہٕنز)۔ ٹیب ٹانٛکھ۔ سُوُن۔ ۲۔ پلو بیتر سُوٚنچ اُجرتھ۔ ہرٕ ہنٛز مؤزوٗری۔ سُووٕنۍ۔ ۳۔ پلوس بیترِ کرٕ ہرٕ سُونہٕ کام۔ اُلیڈی یوسہٕ پلوس کران چھِہ۔

سِلایہ سوٗکوٗل، سِلایہ سنٛٹر:۔سو جاے یا اَدارٕ یتہٕ پلوس ٹوپہٕ کام۔ اُلیڈی تہٕ پوش بیترِ بناونۍ ہیٛچھناوان چھِہ۔

سِلِم:۔(م۔مؤل: سِلِم <س؟ چھلم/ع: طلسم)۔ ا۔ ژِھلم۔ ٹب۔ ۲۔ ژھومب۔ چال۔

سِلِم نٔنۍ:۔ ژِھلِم ثُلِتھ نٔنۍ۔ ٹب ہیٛچھٕنۍ۔ چال ثُلِتھ نٔنۍ (گُنہٕ کسہٕ بیترِ چ)۔

سِلِپَر:۔(ن۔مؤل: سِلِپر <اَنٛگ: سِلِپر)۔ اَڈورٕ وٕس اکہٕ قسمُک کھوربانہٕ۔

سِلہٕ:۔(ن۔مؤل: سِل <ع: سِل)۔ ا۔ کاژھ۔ دِق۔ شُشہٕ نارِچ بیمأرۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) ؤدٕزٕ روٗگ۔ ووٚنڈٕ منٛزٕر۔

سِلہٕ ثُلُن:۔ جیرِ اَنُن۔ کاژھ کرُن۔ سَخ تنگ کرُن۔

سِلہٕ لَد:۔ا۔ یَس سِلہٕ بیمأرۍ آسہٕ۔ یَس کاژھ آسہٕ گومُت۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) نہٕ ہیکن گوٚر۔ سخت آلرٕشی۔ دودرٕ یومُت اِنسان۔

سِلہٕ لارُن:۔ا۔ سِلِچ لاگ لگٕنۍ۔ کاژٕ بیمأرۍ لگٕنۍ۔ ۲۔ سَخ تنگ یُن۔ بدا دیُن۔

سِلہٕ ووتھن:۔ شُشہٕ نأرِس دود کرُن۔ سِلہٕ بیمأرۍ کرٕنۍ۔ کاژھ گژھن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) تنگ یُن۔ بدا دیُن۔

سِلٕری:۔(مؤل: سِلری <س: شِلپدھرٕ)۔ اَکھ ہبڈرٕ ذاتھ۔

سِلو لایڈ:۔(ن۔مؤل: سِلولایڈ <اَنٛگ: سیلو لایڈ۔ Celluloid)۔ کوفوٗرتہٕ بیٛیہٕ کینٛہہ مِلناوِتھ تیار کرنہٕ آمُت اکہٕ قسمُک کٹہٕ دأنتھ ہیُوہ، اَتھ چھِہ فوٹو، فلمہٕ بیترِ تہٕ بناوان۔

سِلیٹ:۔(ن۔مؤل: سِلیٹ <اَنٛگ: سلیٹ)۔ ا۔ اَکھ خاص پاتر یتھ پٹھ شُری چاکہٕ بیترِ سٟتۍ لیکھان چھِہ۔ ۲۔ سِلیٹہٕ گٔنۍ۔

سلیٹہٕ گٔنۍ:۔ اکہٕ خاص قسمٕچ گٔنۍ، اَتھ چھِہ وَرق ہی

وۄتھان۔

سلیٹی:-(م۔مؤل: سلیٹۍ <اَنگ: سلیٹی Slaty)
سۄرۍ رَنگ۔اکہِ رَنگُک ناو۔

سِلیٹی پینسل:-سِلیٹس پٮ۪ٹھ لیکھنچ تُجٕ یا قلم۔

سِلکشن:-(ن۔مؤل: سِلکشن <اَنگ: سلکشن Selcetion)۔ژٲر۔اِنتخاب۔چھانٹھ۔

سلیوٗٹ:-(ن۔مؤل: سلیوٗٹ <اَنگ: سَلیوٗٹ Salute)۔فوٗجی اَندازس منٛز سلام۔

سِل تژیل:-(م۔مؤل: سِل تژیل)۔وۄزلہِ رَنگہِ اکہِ تژیلہِ ہُند ناو۔

سِلسلہٕ:-(ن۔مؤل: سِلسِل <ع: سِلسلۃ)۔
ا۔خاندانہِ ہیتر چ لَڑ۔کُنہِ مَسلک کٕنۍ پٲرو کارَن ہیتر ہُند شجرٕ۔نَسل۔م: قٲدری سِلسلہٕ۔
۲۔(کوہن ہیترِ ہنٛز) مال۔م: پہاڑی سلسلہٕ۔
۳۔ماملہٕ۔توٗلُق۔

سِلسلہٕ وار:-ترتیب وار۔دَرجہٕ بُنٛدی سان۔

سَنٛخ:-(م۔مؤل: سَنٛخ)۔اَکھ وُسنۍ گاسہِ ذاتھ۔اَتھ چھُ بٔلغمیرس ہیوٗہ پوش آسان۔

سِنٛجاف:-(ن۔مؤل: سَنٛجاف <ف: سَنٛجاف)۔کپَر ریل یوسہِ نالہِ پلوٗس (یژٕ پٲٹھۍ پھیرنس) اَنٛدرۍ کَنٛزِ دامنس تہٕ نالَس پھٔٹ ہٮ۪تھ واٹنہٕ یوان چھےٚ۔

سِنگل، سنٛزِگل:-(م۔مؤل: سِنٛگل <اَنگ: شگل) تیٖژٕ ثت گرتھ یِچہ کھنجہٕ یمہٕ پَنٛسس دِوان چھِ۔

سِنٛگار:-(ن۔مؤل: سِنٛگار <پراکرت: سِنگار و <س: شرٛنگار)۔ساز۔پٲراو۔پان سَجاوُن میک اَپ۔

سِنگارٕ بکس:-وُچھو "سِنگاردان"

سِنگاردان:-سُنٛزٕ ی وۄر۔سُہ لوکٹ ڈٔبہٕ یتھ اَندر پان پٲراونکۍ چیٖز آسَن۔

سِنگار کرُن:-ساز کرُن پٲراوُن۔میک اَپ کرُن۔

سِوٗل ا:-(م۔مؤل: سِوٗل <س: سِوٗد)۔بگارٕ رٕس تہٕ مسالہٕ ورٲے سَبزی۔

سِوٗل ۲:-(مؤل: سِوٗل <اَنگ: سِول Civil)۔ا۔غٲر فوٗجی۔عام یَس یا یتھ نہٕ فوجس سٟتۍ تولق آسہِ۔
۲۔دیوٲنی (قونوٗن، مقدمہٕ ہیتر)

سِوا، سِوٲے:-(<ف: سِوا <ع: سِوی)۔ورٲے بغٲر۔رٔوس۔

سوٗن:-(ن۔مؤل: سو <س: سوٗنہ)۔آبس اَنٛدر گرٕ کہ ناوُن۔

سوٗن پھکھ:-سوٗنک مُشک۔

سوٗن پھکر:-کم ہے کالس سوٗن۔گرٕ یکہِ ہنا۔

سوٗن تھاج:-سُہ بوٚڈ باںہٕ یتھ اَندر کانٛہہ چیٖز سونہٕ ییہ۔

سوٗن ییج:-دبگل یا ییج ہیترِ یتھ اندر کانٛہہ چیٖز سونہٕ ییہ۔کانٛہہ چیٖز گرٕ کناونہٕ باپتھ کترٕنہٕ بانہٕ۔

سوٗن لیچہ دژایہ تہٕ بُزٕنۍ لیچہ ژایہ:-تہٕ ڈیتھ گواکہِ بلایہ تلہٕ موکلتھ بیٚیس بلایہ لگُن۔اکہِ مُصیبتہ تلہٕ آزاد گژھتھ بیٚیس مُصیبتس اَنٛدر گرفتار سپدُن۔

سِوٕ ہاکھ:-(ن۔مؤل:سِوٕ ہاک<س:سُوٚد+شاکہٕ)۔ بگارِ روس روٗمت ہاکھ۔

سِونہٕ یِنُن:-پاکونہٕ یِنُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سَخ گرٕم گوٗستھ زٕمن زٕمن عأرق پھٹُن۔

سِوی:-(<س:سیویہ)۔یُس ہأل آسہِ۔جانور بیترِ یُس اہل گوٗمُت آسہِ۔یُس ہلیوٗمُت آسہِ۔ جانور یُس گرس اندر پالنہٕ آمُت آسہِ۔

سِوی کرُن:-اہل کرُن۔ہیٚچھناوِتھ بیترِ اہل کرُن۔ جانور بیترِ گرس اندر پالُن لایق بناوُن۔تیُتھ بناوُن زِ مألکہٕ سِند بن اِشارن پیٹھ پکہِ۔

سِوی گژھُن:-اہل سپدُن۔ہأل گژھنی۔ہلُن۔

سِہہ:-ا۔مؤل:سِہہ<آوازِ پیٹھ)۔ہکھی ہکھی کرِنچ آواز۔ ژھِہہ۔آواز یوسہٕ گُپن بیترِ پکناون وِزِ کران چھ۔ گُپن رأچھس بیترِ سنٛز آواز۔چھہہ،ہٕرِ،ہٕرٕ۔

سِہٕل:-(ن۔مؤل:سِہل)۔شُربن ہنٛز اکھ کھیل، اَتھ منٛز چھِ ٹینگو ستیٚ کھوڑجن رٕگندان۔اَتھ چھِ سِہہ کھوڑِ ج تہٕ وَنان۔

سِیاسَتھ:-(م۔مؤل:سِیاسَت<ع:سیاستہ)۔ا۔سُہ عٔلم یَتھ اَندر حکوٗمت نِظام بیترِ چلاونہٕ کِنہِ مَسلن دَل دِنہٕ یوان چھ۔حکوٗمت نظام چلاوُنک عٔلم۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)دٕپھَن دلاٗزی۔ چالاٗ کی۔چالاٗ کی سان کأنٛسہِ تارِنی۔فَند۔فریب۔ ژھل۔خجالتھ۔

سِیاسَتھ دٕ گنی:-ا۔سیأسی مَسلن پیٹھ بحث کرُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ٹلہٕ زٕ پرِ کی ہاوٕنی۔

سَیاسَتھ دان:-ا۔سُہ یُس سِیاسَتھ زانہِ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) چالاکھ۔یُس فند فریب زانہِ۔یُس اَتھ پیٹھی تارِ۔

سَیاسَتھ وٕنی:-چالاٗ کی وٕنی۔دٕپھَن دلاٗزی وٕنی۔

سیاہ:-(مؤل:سیاہ<ف:سیاہ)۔کرٕہُن۔کرٕہُن رٕنگ۔

سیاہ بخت:-بدٕ قسمتھ۔بدٕ نصیب۔بَد بخت۔

سیاہ پوش:-ا۔کرٕہنی پلو لاگُن وول۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ماتم کرن وول۔

سیاہ سَرِ:-(ل۔م)یُس کلہٕ کرٕہُن آسہِ۔(ورگہٕ) زنانہٕ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سو یوسہٕ مجبوٗر آسہِ۔

سِیاہ سفید:-(ورگہٕ) سورُے۔کل ہم۔ثواب تہٕ قوٗبوٗح۔پاپھ پوٗنی۔

سِیاہ سفیدُک مأ لِکھ:-یُس سأری سے پیٹھ یختیار آسہِ۔موختارِ کُل۔

سیاہ فام:-ا۔بٕتھی کٕنی کرٕہُن۔یُس ژٕمہِ کرٕہُن رٕنگ آسہِ۔۲۔حبشی۔اَفریقاہُک روزَن وول۔

سیاہ کار:-بدکار۔

سیاہ کأری:-بدکأری۔پیچھ کأم۔زِنا بیترِ۔

سیأسی:-(<ع:سیاسِیہ)۔ا۔یَتھ سیاسَتس ستیٚ توٗلُق آسہِ۔ م:سیأسی بحث، سیأسی کارکُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)چالباز۔شأطِر۔

سیأہی :-(م۔مؤل:سیأہی <ف:سِیأہی)۔ا۔کرٕ ہنیٚیار۔ ۲۔اَنہِ گوٚٹ۔

سیتا :-(م۔مؤل:سیتا <س: سیتا) رام ژٕندرٕ جی ہنٛز آشیٚنۍ۔ (رامایٔنُک کردار)۔

سیپٹ :-(م۔مؤل:سیپٹ <اَنگ:سیپٹ)۔ بیٚہنچ جاے (یُتھ پأٹھۍ کُرسی یا بینٛچ) ہالس یا گاڑِ بیترِ اَندر سو جاے ییٚتہِ بِتھ لُکھ بہان چھِہ۔

سیٹی :-(م۔مؤل:سیٹی <ہ: سیٹی)۔ا۔شُرٕنۍ۔۲۔اِنٛجن یا بیٚیہِ کُنہِ مشینہِ ہنٛز چِکھ۔

سیخ :-(ن۔مؤل: سیخ <ف: سیخ)۔ا۔ زیٚٹھ تہٕ گول شُستُرٕ وٕلۍ رِہش۔۲۔شُستُرٕ وٕلۍ رِہش یتھ پٹھ بُزنہٕ باپتھ کبابہٕ کھاران چھِہ۔ تِیٚ یتھ پٹھ کبابہٕ بُزان چھِہ۔۳۔سیخ کباب لفظُک ژھوٚٹ۔

سینخہِ تَج :-ا۔تُجہِ کبابہٕ۔سیٚخس کھأرِتھ تیوٚنگلَن پٹھ بُزنہٕ آمٕت ناٹہٕ تِکھ۔

سپرا :-(م۔مؤل:سپر <ہِسُنا:سیر۔م۔سِندھی:سیر)۔مٔلٕ نہٕ آمٕژ میٚژٕ ڈٲبہِ شکلہِ قالبہٕ کٔڈِتھ تراونہٕ آمٕت چیز۔

سپر بِہنۍ :-ا۔لداوس بیترِ اَندر سپر سوٚم روزٕنۍ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) پانہٕ وأنۍ اَتھ وَتھ ہِنۍ۔ برأبری ہنۍ۔ پھاس پیمتنن بیٚیہٕ صلاح گوٚژھن۔

سپر بیٚہناوٕنۍ :-ا۔لداوس بیترِ سپر سوٚم تھاوٕنۍ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) اَتھ وَتھ اَنٕنۍ۔ دون بیٚیہٕ صلاح کٔرِتھ دیُن۔ژھینہٕ گأمتۍ رَلاوٕنۍ۔

سپر ڈٲلنۍ :-برابری نہٕ ہِنۍ۔ پانہٕ وأنۍ نہٕ وارٕ یُن۔ وُژٕنۍ۔ بد انتظامی بیترِ کِنۍ سأرِے کأم خراب سپدٕنۍ۔ کُنہِ لاپروأیی بیترِ کِنۍ سأری ہے کامہِ پھیٚش لگُن۔

سپر کھیٚسٕنۍ :-سبدٕ تہٕ گرٕھنۍ۔کامیأبی سپدٕنۍ۔

سپر ہیچ بِہنۍ :-برابری نہٕ ہِنۍ۔وارٕ نہٕ یُن۔

سپر پتھیرٕ :-سپرٕ ترٲوَن وول کأرِ گریٚس قالبٕ بَس اَنٛدرٕ سپرٕ تھٔران آسہِ۔

سپر پٹ :-ژینٛن دون منٛز باگ کھارنہٕ آمُت سپرٕ لَب۔

سپر توٗر :-سپر گرٕنچ توٗر۔

سپر قالب :-فِکرٕ ہُند بناونہٕ آمٕت ڈٲبہٕ ہیُو یتھ اَندر اُڈٕرِتھ میٚژ سپر تراوان چھِہ۔سپرٕ تراونہٕ باپتھ سانچہٕ۔

سپر کجابہٕ :-ا۔بوٚڈ سپرٕ پھوٚت سپرٕ سارنہٕ باپتھ اَکھ خاص پھوٚت۔۲۔بڈٕ سپرٕ بنہٕ۔بوٚڈ سپرٕ چِٹہٕ۔

سپر کوٗنٛد :-سو جاے ییٚتہِ خام سپرٕ نارس اَنٛدرٕ ریٚپنہٕ یوان چھِے۔سپرٕ بَٹھہٕ

سپر۲ :-(م۔مؤل:سپر)۔ا۔ پھٕچ مال۔پھم مال۔کنکنہٕ پٹھ وبوٗھناونہٕ آمُت زیٚٹھ پھمبہٕ مال۔۲۔ژمٕس بیترِ پٹھ لاگنہٕ باپتھ لوکٕٹ پھمبہٕ وٕٹھن ہیُو۔

سپر تاسہٕ :-کتریوٗ بانہٕ یتھ اَندر کنکنہٕ کوٚڈمُت پھمب تھوان چھِہ۔پھمبہٕ تاسہٕ۔

سپر تُل :-لوکٕٹ کٕج یتھ پٹھ پھمب کٔنِتھ وٲلان چھِہ۔

سپر۳ :-(ن۔مؤل:سپر <ع:سِپر)۔وُچھوسِپر'۔

سیرَتھ:-(م۔مؤل:سیر ثت <ع:سیرۃ)۔ا۔خصلتھ۔سوبھاو۔
پڑکرتھ۔۲۔طورطریقہٕ۔ووتھُن بہُن۔عادتھ۔

سیرِ ری:-(م۔مؤل:سیر ری <س:شِلیندھرَ)۔اکھ
ہبڈٕ رذاتھ۔بزنہٕ ہبڈٕر

سیرِ نی:-(م۔مؤل:سیرِ نی <س:سارَ۔سرِکہ) آب بیترِ
لاکولاکوسارنچ کأم یامۆزۆری۔م:پاں سیرِ نی۔

سیرُن:-(ن۔مؤل:سیر <س:سرِکہ)۔أندری أندری
پھیرُن،پھِرناونہٕ یُن۔

سیرِ یُن:-(بانہٕ بیترِ)۔یَتھ اَکھ سیرواتہِ۔

سیرِ دَن:-(مؤل: سپر وَن <ف: سپر) کأنی۔
غلبہٕ۔گُنٛل۔

سیژِل:-(مؤل:سیژول <س:سَنتاپہٕ) یُس چیزن
بیترِ ہتی سیتھ دِنان آسہِ۔سیژلد۔

سیژلد:-(ن۔مؤل:سیژلد <س:سنتاپہٕ+پڑاکرت:
لدھو <س:لبدھ)۔وُچھو"سیژول"۔

سیستان-(ن۔مؤل:سیستان <ف: سیستان) اَکھ
ژکنہٕ ذاتھ۔اَمہِ کس گُلس چھُ کزیٛہنیار سان
ہیوٗل آسان۔

سیٖل:-(م۔مؤل:سیٖل <اَنگ:سیٖل۔Seal)موہر۔

سیٖلہٕ سُپأری:-(م۔مؤل: سیٖلہٕ سُپأری)۔سُپارِ ہُنٛد
اَکھ قسم۔

سیٖلی:-(م۔مؤل: سیٖلی <ہ: سیلا)۔ پاٹیو لاٹھ یُس
ہُنٛدی دِش گنٛڈنہٕ یوان چھُ۔

سیٖم :-(م۔مؤل: سیٖم <ف: سیم)۔ا۔روپھ۔
۲۔کلابوتھ۔روپہٕ مُلہٕ مایہٕ گرِتھ پَن۔

سیٖم تَن :-ا۔روپہٕ تَن۔ا۔نوزُک بدَن۔نازنیٖن۔

سیٖمَنٛٹھ:-(ن۔مؤل: سیٖمٹ <اَنگ: سیمینٹ
Cement)۔أکِس خاص کنہٕ بنأوِتھ پھکھ
یوسہٕ لداوس بیترِ لگان چھےٚ۔

سیٖماب:-(ن۔مؤل:سیٖماب <ف:سیماب) پارٕد۔

سیٖمنی:-(م۔مؤل:سیٖمنی <س:سیمی)۔ہہ سنز ماد۔

سیٖمنہٕ:-(م۔مؤل: سیٖمن <س:سَمِتا۔م۔ہ: سویاں)
مأدس یا أٹس بیترِ بناونہٕ آمُت (تُچہِ ہیؤہ
زأویٖل) اَکھ پکوان،(سیوٗن یانوٗنہٕ دار)۔

سیٖن:-(ن۔مؤل: سیٖن <انگ: سین)۔ ڈرامہٕ
نٹک یافلمہٕ بیترِ ہُنٛد منظر۔

سیٖنا:-(م۔مؤل:سیٖنا <س:سینا)فوج۔

سیٖنہٕ:-(ن۔مؤل:سیٖن <ف:سینہَ) وَچھ۔

سیٖنس کنٛی تھوٗنی:-برداش آسُن۔ژیٖڈ کرُن۔

سیٖنہٕ آسُن:-برداش آسُن۔جوٗرتھ آسُن۔ہمتھ آسٕنی۔

سیٖنہٕ بَنٛد:-ا۔پھمب بُرتھ سٕدری۔پھمبہٕ ڈگلہٕ۔
۲۔گری سندِ زِہنگ سٕہ حِصہٕ یُس تَس ہِٹس تلہٕ
کنہِ تنگس ہتی گنٛڈتھ چھُ آسان۔۳۔ وَچھ
ڈُلیٖن۔باڈی۔زَنانن ہُنٛد اکھ أندرِمی پلو یُس
تمہٕ سیٖنس گنٛڈان چھےٚ۔

سیٖنہٕ بہٕ سیٖنہٕ:-سو گتھ یاسر بیترِ یُس پَتہٕ وَتھ زبأنی

زبأنی اَکھأ اَکِس باوُنہٕ یِیہِ۔ زبأنی زبأنی باوُنہٕ آمُت

راز بیترِ خاص کرِتھ مورشدٕ سٕنٛزِ زبٲنۍ مُریدس یا گورٕ

سٕنٛزِ زبٲنۍ چیلن۔

سیٖنہٕ ترٛ:- وَچھِ کانٛز۔ سیٖنٛچ اُڈِج۔ سیٖنہٕ کہِ کرٛنٛزٕ اَندرٕ

اَکھ اُڈِج۔

سیٖنہٕ ٹھَپاوُن:- ذِمہٕ دأری ہیٚنٛز۔ مَٹہِ دأری ہیٚنٛز۔

سیٖنہٕ دَگُن:- وَچھِ ژیٹے کرٛنۍ۔ ماتم کرُن۔

سیٖنہٕ دارُن:- کانٛہہ مشکل کأم پأنس پیٹھ ہیٚنٛز۔

سیٖنہٕ دِیُن:- وِچھو "سیٖنہٕ دارُن"۔

سیٖنہٕ ژٹُن:- وِچھو "سیٖنہٕ دَگُن"

سیٖنہٕ سِپَر:- سیٖنہٕ دأرِتھ (بُتھِ)۔

سیٖنہٕ کڈُن:- چھأتی کڈٕنۍ۔ جوان سپدُن۔ یاوُن لَبُن۔

سیٖنہٕ گرٛزٕٹ:- (ہزلِہ) اَفواہ۔ ٹٔڈۍ۔

سیٖنۍ یَر:- (مٔول: سیٖنۍ یَر < انگ: سینیر) عوہدس یا دَرجس منٛز بروٚنٹھ۔

سیٖنری:- (مٔول: سیٖنۍ یَر < انگ: سینری) گوش (اَندٕر پکھی) نظارٕ۔ قودرٔتی نظارٕ (کوہ، بال، گُلۍ تہٕ کھاہ بیترِ)۔

سیوٚکھ:- (مٔول: سیوٚک < س: سیوٚکہ)۔ خٔدمتھ گٔذار۔

سیوا:- (م۔ مٔول: سیوا < س: سیوا)۔ خٔدمتھ

سیوا کرٛنۍ:- خٔدمتھ کرٛنۍ۔ بکاریُن۔

سیوا کار:- خٔدمتھ گٔزار۔

سیوَن:- (ن۔ مٔول: سیوٚ < س: سیوٚنہٕ) ا۔ سیوا کرٛنۍ۔

خٔدمتھ کرٛنۍ۔ ۲۔ پۄزُن۔ پۄزا کرٛنۍ۔

سیہرٕ ٹانٛج:- (م۔ مٔول: سیہرٕ ٹانٛج)۔ اَکہِ قسمُک ٹٔنگ۔

سٕتَل:- (م۔ مٔول: سٕتَل < س: سوٗترٕ لا)۔ پَٹ سَن۔ بٔنگہٕ رَز۔ بٔنگہِ بناونہٕ آمِژ داو۔

سٕتہٕ مَنَن:- ہۄپ دۄپ کرِتھ روزَن وول۔ دَم بوٚنس لاگن وول۔ ہتہٕ مَنَن۔

سٕتھر:- (ن۔ مٔول: سٕتھر < س: سوٗترٛ) کٔپس یتھ ٹوٗٹۍ کڈنہٕ آسن آمٕتۍ۔ ۲۔ کوٚتمُت پَن

سٕتھر ترٛاوُن:- ا۔ وونہٕ باپتھ وانس پَن وَہراوُن۔ ۲۔ (ورگہِ پأٹھی) کانٛہہ کأم شوٗروٗ کرٛنۍ۔ کانٛہہ کأم بیترِ دَردَس اَنٛنۍ۔

سٕتھر پوٚٹ:- اَکہِ کپرُک ناو (اَتھ چھُ ووٚنن سٕتھرٕ وتہٕ ہیٚنٛزٕ منٛز آسان۔

سٕتھرٕ دور:- زیٛوٗٹھ کپر ٹکرِ یُس وانس پیٹھ وونہٕ یِیہِ۔

سٕتھرٕ دورٕ:- سٕتھر دونہٕ ٹکٕ وان۔ وان۔ یتھ پیٹھ کپرٕ دونان چھُ۔

سٕتھرٕ ژادَر:- کپرٕ ژادَر۔

سٕتھر کون:- سوٗتٕرٕ تٔلِس پیٹھ کٔتتھ وَلنہٕ آمُت سٕتھرٕ پَن۔

سٹٔنڈارڈ:- (مٔول: سٹنڈارڈ < انگ: سٹنڈارڈ۔ Standard)۔ ا۔ میار۔ سُہ پیمانہٕ یا کاہ وُٹ یمہٕ حسابہٕ کانٛہہ چیز پرکھاونہٕ یِیہِ۔ ۲۔ میأری۔ یہٕ کاہ وَچھِ کھوٚتمُت آسہِ۔ یہٕ پرکھاونہٕ آمُت آسہِ۔ تھدِ پایِک۔

سٹاٹ:-(< اَنگ: سٹارٹ Start)۔ ١۔ اِنجن چالو کرُن۔ گاڑؠ بیترِ چلاوِنؠ شورُٕ کرِنؠ۔ کانٛہہ مِشین بٹن بیترِ دبأوِتھ چالو کرِنؠ۔ ٢۔ شورُٕ۔

سٹاٹ کرُن:- گاڑؠ یا موٹر بیترِ چلاوُن۔ مشین چالو کرِنؠ۔

سٹاٹر:-(مؤل: سٹاٹر < اَنگ : سٹارٹر Star ter)۔ موٹرِ بیترٕ ٹیک سُہ آلہٕ ییٚمہِ کہِ دَباونہٕ سٟتؠ اِنجن چالو گوھان چھُ۔

سٹار:-(ن۔مؤل: سٹار < اَنگ : سٹار۔ Star) ١۔ تارَکھ کرِتھ نِشانہٕ پٹ یوسہٕ فوٗجی اَفسرن عوٗہدٕ حسابہٕ دِوان چھہِ۔ ٢۔ فِلمہِ یا ڈراماہس اَندر حِصہٕ ہِنہٕ وول مشہوٗر ایکٹر۔ ٣۔ خاص قسمٕچ میٚخ یوسہٕ کھور بانس لاگان چھہِ۔

سٹار بام:- اَکھ قِسمُک بام۔ مکانس پٔش دِنک اَکھ خاص طرٟقہٕ۔

سٹاف:-(ن۔مؤل: سٹاف < اَنگ : سٹاف Staff) عملہٕ۔ کارکُن۔ جماتھ۔

سٹال:-(ن۔مؤل: سٹال < اَنگ : سٹال Stall)۔ ١۔ تھیٹرس بیترِ اَندر برونٛٹھ کنہِ چہ سیٹہٕ۔ سِنیماہس اَندر پتہٕ کنہِ چہ سیٹہٕ۔ ٢۔ وانہٕ لٗانہِ اَندر کانٛہہ دُکان۔ کانٛہہ چیز بیترِ کنہٕ ہٕچ جاے۔ مِ: بُک سٹال۔

سٹوٗل:-(ن۔مؤل: سٹوٗل < اَنگ: سٹول Stole) رَفلہٕ پٹ۔ یَتھ پیٹھ جالکھدوٗ زنقشہٕ بیترِ بناوان چھُ۔

سٹوٗر:-(ن۔مؤل: سٹوٗر < اَنگ : سٹور)۔ سو جاے ییٚتہِ کُنہِ قسمُک سامانہٕ یا مال بیترِ جمع تھَونہٕ ییہِ۔ ذٔخیرٕ۔ گدام۔

سٹوٗر کیپر:- گدامُک رأچھدر۔ سُہ مُلأزم یَس کُنہِ دفترُک سامانہٕ بیترِ حَوالہٕ آسہِ۔

سٹے آڑر:-(ن۔مؤل: سٹے آڑر < اَنگ اسٹے آرڈر: Stay order)۔ ٹھاکھ یُس حأکِمہٕ بیترِ سٔنڈِ طرفہٕ کُنہِ کامہِ یا حُکمس اَنہٕ ییہِ۔ حُکم اِمتناع۔

سڈُن:-(ن۔مؤل: سڈ < س: سَہنہَ۔ مُ۔س: سوڈھم) ژالُن۔ برداش کرُن ہیٚہن۔ پرواکرُن۔

سر سر-(ن۔مؤل: سر سر < آواز پیٹھ) ژھوکھ۔ کِپر۔

سر سر آسُن:- ژھوکھ آسُن۔ منگہٕ دوداسُن۔

سرٕ١:-(ن۔مؤل: سرٕ < س: سوٗچکہ)۔ ١۔ پکو بیترِ سون وول۔ ٢۔ ٹیپہٕ کڈن وول۔

سرٕ مِشین:- سُون مشین۔

سرٕ موٗ زوٗری:- سوٗئی۔

سرٕ٢:-(ن۔مؤل: سرٕ < س: سوٗچہِ)۔ سُو۔ بُڈتہٕ موٗٹ سرٕن ییٚمہِ سٟتؠ ژٔپأٹھی یو ہرہن ٹیب دِوان چھہِ۔

سرٕن:-(م۔مؤل: سرٕن < س: سوٗچہِ)۔ ١۔ پودکرِتھ زأوِج ییٚتہِ وار سلئے ہش ییٚمہِ سٟتؠ ٹیب دِوان چھہِ۔ ٢۔ (ورگہٕ پأٹھی)۔ سو یوسہٕ ژٗری کہِ دِییہِ۔

سرٕن گژھنؠ:- (بیمار بیترِ سٟتؠ) ہو گھُن۔ کمزور

گژھن۔ صیٚحتھ خراب گژھنہٕ کِنۍ ہٕرتھ پیوٚن۔
اُڈۍ جہ کرٛ ژرٛے یوت موژُن۔

ہرٛنہِ پاوِ، پھِر اَڑُن تہٕ ہٕسی برٕنی نیرُن:- تہٕ ڈُپتھ گورِر گرِتھ کُنہِ کارس اَنزِ منز اَڑُن پتہٕ سوزٕے کینْہہ آورِتھ گونژھن وَردِوان نیرُن۔

ہرٛنہِ پٹِّ:- کسا بِک سہٕ لاٹھ یتھ ہنگن تل پھلو ہرٛنہِ لاُ رگتھ آسان چھےٚ۔

ہرٛنہ پوٚہ:- وُچھو 'ہرٛنہِ پوٚو'۔

ہرٛنہ پوٚو:- ہرٛنہِ ہُندزوٚدِپارٕ اَتھ پَن تاران چھہِ۔

ہرٛنہِ پیٚتِس سوٚمب:- سبٹھا نیگ تہٕ زاٗ اویٚل۔ سبٹھاہ کم۔ رژھا ہواوا۔

ہرٛنہِ پیوٚت:- ہرٛنہِ ہُندزاٗ اویٚل تہٕ نوک دار اَند۔

ہرٛنہِ کاٗم:- ۱۔ ہرٛنہِ سِتۍ ٹیب ٹانکھ دِژٕج کاٗم۔ ۲۔ ٹیپہِ کڈٕنج کاٗم۔ سوزنہِ کاٗم۔ چکن دوٗزی یا تلہِ کاٗم بیتر۔

ہرٛنہِ لگنہِ:- ۱۔ ترٛسی لگنی۔ بےٚ آرامی گژھنی۔ فکرِ بیترِ کنی سوکھ نہٕ یُن۔ ۲۔ کُنہِ جایہِ گژھتھ نہٕ تتہِ وارِیُن۔

ہرٛنہِ موٗزوٗر:- ۱۔ یُس پلوٚن بیتر ٹیب ٹانکھ کڈِتھ پُن گذارِ چلاوان آسہِ۔ لوٚپہ گوٚر۔ چکن دوٗز۔ ۲۔ (ورگہٕ) سُہ یُس جلٕتھ گرِتھ سبٹھاہ کم پلہٕ پیٚیہٕ

ہرٛنہِ موٗزوٗری:- پلو سوٗنج یا ٹیب ٹانکھ کڈٕنج کاٗم۔ یُہٕ یُہٕ پاٗٹھی چھہِ تلہِ دوٗزی وَنان۔

ہرٛنہ ٹُل:- وُچھو ''سوزٕنہِ ٹُل''

ہسس:- (ن۔ مؤل: ہسس < آوازِ پٹھ)۔ ۱۔ باد یَتھ نہٕ پکنہٕ وِزِ آواز نیرِ۔ آوازِ رؤس پوٚ کمت باد۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) پھیار۔ تِتھ کتھ یمہٕ سِتۍ خجالتھ گژھِ۔ ژرٛ۔

ہسہٕ پھُٹؚ گژھن:- (ہٕس بیترِ) ریٚنچہٕ گژھنہٕ۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) اُندرٕ کٕ اُندری راوُن۔ خراب گژھن۔

ہسس ترٛ اوُن:- ۱۔ باد ترٛاوُن۔ آوازِ رؤس ژٕ ژھ ترٛاوُنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) پھیار نیرِتھ ژٕلُن۔

ہسس نیرِتھ ژٕلُن:- (ورگہٕ پاٗٹھی) پھیار نیرِتھ ژٕلُن۔ یوسہٕ کتھ نہٕ وَننہٕ لایق آسہٕ سوے نیرِتھ ژٕلنی۔ ژرٛ نیرِتھ گژھن پھکھ ترٛاوُن۔

ہسر:- (م۔ مؤل: ہسر < آوازِ پٹھ)۔ ۱۔ ہُم۔ (ہوا بیترِ بند آسنہٕ کِنی) تیٚز گرم۔ تیتھ گرم یمہٕ سِتۍ جیرِ ییہٕ۔ گریشم۔ ۲۔ سوٚت سوٚت پاکھ۔ ۳۔ بےٚ آرامی، بےٚ قراری (کُنہِ فکرِ کنی)۔

ہسر پیٚنی:- (ووہو) آپہٕ رہسر پیٚنی۔ آپہٕ ترٛتھ پیٚنی۔

ہسر ژھٕنی:- (ووہو) آپہٕ رہسر ژھٕنی۔ توت آب پٹھ ترٛاوُن۔

ہسر لگنی:- ۱۔ (فکرِ بیترِ کنی) بےٚ قراری ہش گژھنی، سوکھ راوُن ہیوٗہ۔ بے چین ہیوٗہ گژھن۔ کُنہِ کُن کل گژھنی تہٕ ژلہِ ژلہِ لگن۔ پٹھ پیٚنی۔ ۲۔ دَندس بیترِ دگ کرٕنی۔

ہسرِ گاڈتھوٚنی:- ۱۔ اُندری تھوَن۔ ۲۔ زاٗتھ

مائنتھ مامله تل تل تھوٚن۔
سسرِ گوٚگج:-سو گوٚگج یتھ سوٚت سوٚت پاکھ دِنہٕ ییہِ۔
سسرِ گوٚگجہِ گژھنہِ:-ژوٚیہ کرنہِ۔ٹوٚگجہِ کرنہِ۔
سسرِ لگن:-(ووہو) بےٚ آرامی تہٕ بےٚ قراری گژھنی۔
سسرِ ووٚنی:-گزٕ کہِ دِوٚن آب۔سبٹھاہ توٚت آب۔
بُسرِ ووٚنی۔
سسہِ ڈینج:-اکہِ قسمُک پنڈ ہیُوٚ ہبڈُر۔
سسہِ ڈڈیونگ:-وُچھو "سسہِ ڈینج"۔
سکرِپٹ:-(ن۔موٗل:سکرپٹ Script)۔ا۔مُسوٚدِ۔
۲۔لیکھن تژاے۔رَسم خط۔
سمگلر:-(ن۔موٗل:سمگلر<انگ:سمگلر۔Smuggler۔
گُور ژوٗر۔
سمَرن:-(م۔موٗل:سمرن<س:سمَرَنہ)۔ا۔یاد ووٚتُر،
حافظہِ۔۲۔ژیٚنس۔یاد۔۳۔یادگار۔۴۔زَپہ مال۔
تسبیح۔وُچھو "سُمَرَن" تہِ۔
سہہ:-(ن۔موٗل:سہہ<س:سِمہَ)۔ا۔(براری ذاتژ
ہُنٛد) اکھ بوٚڈ جنگلی جانور۔۲۔(ورگہ پاٹھی)
بُہودُر۔یَس وانج بڈ آسہِ۔یُس نہٕ کھوژیاو بسر۔
سہہ پدٕ شالہ پد:-ا۔سہہ سنٛز شالہ سنٛز کتھ۔
اورِ چ یوٚرِ چ کتھا۔۲۔لُر۔اپُز۔خرافاتھ۔
سہہ پوٗت:-(ورگہِ) بُہودُر۔جُرت منٛد۔دِل گوردِوول۔
سہہ رِکھ:-(ن۔موٗل:سہہ رِکھ<س:سِمہہ+
ریکھا) اُکس جاناوارُ سُند ناو۔

سہہ گوٚنژھ:-ا۔سہہ سُندِس نستہٕ تلکی زٹھی وال۔
۲۔اکھ پننہِ ؤتھر یتھ سبٹھاہ تیز کنڈی چھِ
آسان۔اکھ کنڈی دار پننہِ ؤتھر۔اکھ بوٗٹی۔
۳۔(ورگہِ پاٹھی) سخ ٹیوٚٹھ تموک۔
سہہ گوٚپھ:-سو گوٚپھ یتھ اندر سہہ روزان چھُ۔
سہہ مُسلہِ:-سہہ سنٛز کھل۔
سہُل، سُہل:-(ن۔موٗل:سہل<ع:سَہیل)۔
ا۔بلاے۔تپالُک۔تاوان۔م:سہُل پیوٚن۔
۲۔ہَروِنی پتھ داہ دوہ۔۳۔زوال۔
سہُل اژُن:-ا۔ہَرُد واتن۔فصل بیترِ پئن
ہیوٚن۔۲۔زوال یُن۔
سہُن:-(ن۔موٗل:سہہ<س:سَہنہَ)۔ژالُن۔وبژن۔
یتراوُن۔
ستی:-(<س:سارتھ)۔ا۔(کانہہ یا کینہہ) ہیتھ۔
(کُنہِ یا کانسہِ) ہمراہ م:ماٗلِس ستی آو۔
۲۔(کُنہِ یا کانسہِ) نزدیکھ۔نکھہِ۔م:لبہِ ستی
لَب۔۳۔(کُنہِ یا کانسہِ ہنٛد) ذٔریہٕ۔م:
شرٛ اکھ ستی کھش۔۴۔(کانسہِ ہنٛدِ یا کُنہِ کہِ)
آسنہٕ کنی۔موکھہِ پُٹھی۔موٗجُوٗب۔م:پزٕ ستی
موکلاوِ خودا، ماٗلی سنٛدِ ستی چھس چلان۔
ستِن۔ستین:-وُچھو "ستی"
ستی اژُن:-ا۔پانس ہمراہ ثٹلُن۔پانس ہمراہ ہیتھ یُن۔
کانہہ ہیتھ یُن۔۲۔(ورگہِ پاٹھی) پننہِ قسمتہٕ کنی

ہتھ ییٚن۔

ستی بوج:۔ سُہ یُس پانس ستی ستی رؤ دمُت آسہِ۔

ستی پکُن:۔ ۱۔ کانٛسہِ ہمراہ پکُن۔ یپاٲرِ کانٛہہ گژھِ تیپاٲرِ پانہٕ تہِ تٔسی برابر پکُن۔ ۲۔ (کانٛسہِ ہنٛز) طرفداٲری کرٕنی۔ ۳۔ اَتھِ واس کرُن۔ کُنہِ کامہِ منٛز ڈکھس روزُن۔

ستی ستی:۔ ۱۔ اکھ اَکس نکھہِ نکھہِ۔ نزدیکھ۔ ۲۔ (کُنہِ یا کانٛسہِ) پتہٕ پتے۔

ستی نٔین:۔ پانس ستی پکناوُن۔ پانس ہمراہ نٔین۔

ستی وول:۔ سُہ یُس رٲچھ باپتھ ستی پکہِ (مۆہنٛیو بیترِ)۔ یُس پانس ستی ستی کُن نِنہٕ ییہِ۔

ستی ہیوٚن:۔ وُچھِو "ستی نٔین"

سہ سہ:۔ (ن۔ مۆل: سہ سہ < آوازِ پٮ۪ٹھ)۔ آلُژھ۔ وُژھنہٕ آسُن۔ کامہِ کارس بیترِ اندر کاٮ۪ن۔

سہ سہ کرُن:۔ کامہِ کارس بیترِ کاٮ۪ن، آلُژھ لاگن۔

سہ سہ لاگُن:۔ کاٮ۪ن۔ آلُژھ لاگُن۔ وُژھنہٕ کرُن۔

سُہ:۔ (ن < س: سُہ)۔ یُس کُن اِشارٕ پاٲٹھی کیٚنٛہہ وَننہٕ ییہِ، اَچھوٗ ڈلتھ کانٛہہ یا کیٚنٛہہ۔

سُبک دوش:۔ (مۆل: سُبک دوش < ف سُبک دوش)۔ ۱۔ لوتہِ بارٕ۔ لۆژراونہٕ آمُت۔ فارِغ۔ کُنہِ ذِمہ وٲرِی تلہٕ آزاد گومُت یا کرنہٕ آمُت۔ یُس نکھہِ بور و تھمُت آسہِ۔ ۲۔ کڈنہٕ آمُت۔ تژ دومُت کڈِتھ ژھنمُت۔

سُبحان:۔ (ن۔ مۆل: سُبحان < ع: سُبحان)۔ منٛزہ تہٕ پاک۔ خودایہ تعالا سُنٛد اَکھ صِفت۔

سُبحان اللہ:۔ (مۆل: سُبحان اللہ < ع: سُبحان اللہ)۔ (ل۔م) پاک چھُ سُہ خودائے۔ یہِ چھِ تمہِ وِزِ وَنان ییٚلہِ کُنہِ کتھِ پٮ۪ٹھ حاٲرتھ کھوان چھِ یا خوش سپدان چھِ۔

سُپر وایزر:۔ (مۆل: سُپر وایزر < اَنٛگ: سُپر وَیزر۔ Supervisor) یُس کٲم کرن والین پٮ۪ٹھ نظر تھوان آسہِ۔ اَکھ عوہدٕ دار۔

سُپر وِجن:۔ (ن۔ مۆل: سُپر وِجن < اَنٛگ: سُپر وِجن۔ Supervision) سُپر وایزرُن کٲم۔ نِگراٲنی۔

سُپاٲرۍ:۔ (م۔ مۆل: سُپارۍ < ہ: سُپاٲری) اکھ قسمُک زاہِھل یُس یۆہ پاٲٹھی پانہٕ ڈٲھرن ستی ژاپان چھِ۔

سُپُر دِ/سُپورِد:۔ (مۆل: سُپُرد < ف: سُپرو)۔ ۱۔ پٔژرنہٕ آمُت۔ (کانٛسہِ ہنٛدِس) تحویلس اَندر۔ کانٛسہِ حوالہٕ، مٔنٛزٕ۔ ۲۔ کانٛسہِ ہنٛدِس قبضس تل۔

سُپُر دَس تھَوُن:۔ کانٛسہِ ہنٛدِس تحویلس اَندر تھوٚن۔ کانٛسہِ حوالہٕ کرُن۔ کانٛسہِ نِش اَمانتہٕ پٲٹھی تھوٚن۔

سُپُر دِ دار:۔ تحویلدار۔

سُپُر دِ کرن:۔ ۱۔ کانٛسہِ ہنٛدِس تحویلس اَندر دیُن۔ کانٛسہِ حوالہٕ تھوٚن۔ کانٛسہِ نِش اَمانتھ پاٲٹھی تھوٚن ۲۔ کانٛسہِ حوالہٕ کرُن۔ مِ: مُلزوم کوٚر رُکھ پُلسس

سُپُرد۔۳۔کانٛسہٕ مَتہٕ کھارُن۔

سُپُردنامہٕ:۔سُہ کاکد یُس تحویل دَرس رُسید پُڑھی ہیٚنہٕ ییہِ۔

سُپردِگی:۔تحویل۔حوالہٕ گی۔

سپوک:۔(ن۔مؤل: سُپوک < اَنگ :سپوک Spoke) پیچ کٕمہِ (خاص کٔرِتھ سایکل پیچ)

سُپرنٹنڈنٹ:۔(مؤل:سُپرنٹنڈنٹ <:سُپر اِنٹِمن ڈینٹ Superintendent) دفترٕک نِگران اَفسر۔

سُپریم کورٹ:۔(ن۔مؤل:سُپریم کورٹ < اَنگ:سُپریم کورٹ Supreme court) مُلکچ ساری وے کھوتہٕ بٔڈ عدالتھ۔ہایکورٹس کھٔسِتھ عدالتھ۔

سُتہٕ:۔(ن۔مؤل:سُست <؟)۔ا۔(ڈٔنڈ ہیترِ) ٹھکن۔ ا۔ژَہل۔۲۔شَلکھ۔پھَنڈ۔

سُتہٕ دیُن:۔اَتھ یا ڈٔنڈ ہیترِ سِتۍ ترٛ نگ یا دَکہٕ دیُن۔

سُتُن:۔(ن۔مؤل:سُت)۔ٹُسن۔اوٕری ژَہلُن۔گنہٕ مٔز زورٕ ٹھکن۔ژہل دِی دِی گنہٕ مٔز برُن۔

سُتھر اشاہ:۔(مؤل:سُتھر اشاہ <ہ:سُتھرا+ف:شاہ) ا۔(سِکھ دورس تہٕ اِبتدأیی ڈوٗگر دورس منٛز اَسی) تَس مُلازمَس وَنان یُس کھاندرٕ ٹیکس سوٗمبران اوس۔۲۔ڈٔھسہٕ فقیٖر۔۳۔اَگادِ گرٛۄھن وول (شُر)۔

سُتھر اشاہی:۔(م۔مؤل:سُتھر اشاہی <ہ:سُتھرا+ف:شاہی)۔ا۔فقیٖرن ہُند اَکھ خاص جوتھ ،یم تۄ تام چھِنہٕ تھچھ ٹُلان یوٗ تام نہٕ یمن کینٛہہ دِزِ۔اَکہٕ قِسمکۍ ڈٔھی فقیٖر۔۲۔اَگادِ گرٛۄھن۔

سٹوڈیو:۔(ن۔مؤل:سٹوڈیو < اَنگ :سٹوڈیو Studio)۔ ا۔سُہ کمرٕ ییٚتہٕ فوٹو گرافرٕ مرٕ ژٕ گوٗر یا تصویرٕ ہیترِ بناوَن وول کام کران آسہٕ۔۲۔سُہ کمرٕ ییٚتہٕ فِلمہٕ ہُندِ باپتھ پأٹھۍ چارنہٕ تہٕ تِتھ رہِل ٹُلنہٕ چھےٚ یوان۔ ۳۔سو جاے یا کمرٕ ییٚتہٕ ریڈیو ہیترِ باپتھ آواز لُہرن منٛز ترٛاونہٕ یوان چھےٚ۔

سُچ:۔(ن۔مؤل:سِچ < اَنگ:سُوِچ Switch) سُہ بٹن ہیترِ یُس دَبأوِتھ بجلی زالان یا ژھیتہٕ کران چھِ نتہٕ کانٛہہ مشین چلاونہٕ یا بنٛد کرنہٕ یوان چھےٚ۔

سُچ بورڈ:۔سُہ پوٗٹ ییٚتھ پیٹھ بجلی ہُندۍ سُچ ہیترِ لأرِتھ آسان چھِ۔

سُچ ترٛاوُن:۔بجلی زالٕنۍ یا مشین ہیترِ چلاوٕنۍ۔

سُداٗرُن:۔(ن۔مؤل:سُدار < س:سُدھارنہٕ) اورٕ یور چھکرنہٕ آمتۍ چیز ہیترِ شیر تھ سَمبأرِتھ تھوٚنۍ۔ ترتیب دیُن۔خرأبی دوٗر کرٕنۍ۔

سُدٕ:۔(م۔مؤل:سُد < ع: سدۃ ،سدّ)۔ا۔قبضہٕ کٔنۍ پھٔلی ہوی وَتہٕ آمت بوٚڈ دِوار۔۲۔(نزلہٕ کٔنۍ) نسہٕ شُرک۔

سُدگوٗر:۔(ن۔مؤل:سُدگور)۔لانٛو ٹھ۔خاص کٔرِتھ سُہ یُس نوٗن پیشہٕ آسہٕ۔

سُدرُن:۔(ن۔مؤل:سُدر < س:سُہ+دھرِ)۔سبدُن۔ وَتہٕ یُن۔کھٔری پھٔگی یا رزالتھ ترٛاوٕنۍ۔

سُرَٹھ:-(ن۔مؤل: سُرٹ)۔اکھ خاص گُلیٖگ مؤل، یہ چھُ رَنگرن لگان۔

سُرَے :-(م۔مؤل: سُرے ح ف: صُراحی)۔
ا۔اَکھ زیوَر یُس وانکہٕ پٔنس ستی بند چھُ آسان ،یہ چھُ ٹنگہٕ لٔڑ چالہٕ آسان ۔۲۔کتریوتہ زٮ۪شہٕ بانہٕ ییتھ گول تنگ تہٕ تھوٚد آسان چھُ۔

سُراخ:-(ن۔مؤل: سُراخ ح ف: سوراخ)۔گوٚو زوٚد۔سٕژو۔

سُراغ:-(ن۔مؤل: سُراغ ح ف: سُراغ)۔پَے پتاہ۔نیب نشانہٕ۔تھَو پتاہ۔بٔرگ (ژؤرِ بیترِ ہُنٛد)

سُراغرسان:-جوسؤس۔یُس کُنہٕ چیزُک پَے کڈِ۔یُس نیب دِیہِ۔ژرژٲن وول۔ژر۔سی۔آے۔ڈی۔

سُرِ بوٚن:-بوٚڈ سُرِ ڈیر، وُچھِو "سؤر"، لفظس تل۔

سُرِ چھانچھ:-(ن۔مؤل: سُرِ چھانچھ)۔اکہٕ جنٛگلی مؤک ناو۔اکہٕ قسمُک چھانچھ۔

سُرِخ :-(م۔مؤل: سُرِخ ح ف: سُرخی)۔پۆختہٕ سیرِ بنأوِمٕژ پھکھ۔

سُرخہِ سیر :-سو سیر ییتھ ژٕگتھ سُرِخ نیر۔کیٚہہ پٔیِنہٕ آمٕژ سیر۔

سُرِ کرٕلہٕ:-(ن۔مؤل: سُرِ کرٕل)۔اَکہٕ قسمُک زژنٛڈ یُس یٕڈ اندر آب سمٕنس دواچھ۔

سُرِ گُنی:-(م۔مؤل: سُرِ گُنی)۔سلیٹ گُنی اَکھ کنہٕ قسم۔

سُرِ گُرٕوُناتھ:-(ن۔مؤل: سُرِ گُرٕوُناتھ ح س: سُر گُرناتھ)۔مَہادیو۔شو۔م: تیلی ٹوٹھیوم سُر گُرناتھ۔
(لل دید)۔

سُرِوُن:-(ن۔مؤل: سُرو)۔(بانہٕ بیترِ) سؤرِ ستی مانجُن، سؤرِ ستی ناوُن۔بانس بیترِ سؤرِ ستی پھَش دیُن۔

سُرخ باد:-(ن۔مؤل: سُرخ باد ح ف: سُرخ باد)۔
اکہِ پھیپھرُک ناو۔اکہٕ قسمُک پھَپھل، یہ چھُ ووزِ ج بَستہٕ ہش آسان۔

سُرساتھ:-(پھَل بیترِ) ییتھ ژھوٹھ تہٕ لوٚد ستی آسہ۔

سُرسأتی کرُن:-سیتھ۔اُکِس بیٚیِس چیزِس ستی ملٕو زیرِ زیرِ۔ژھرٹھ۔

سُریالہٕ:-(ن۔مؤل: سُریال)۔اَکھ وَسنی گاسہٕ ذاتھ۔

سُست:-(مؤل: سُست ح ف: سُست)۔
ا۔آلۄژ۔کایِل۔یُس کامہِ کارَس کایان آسہِ یَس نہ وُژھ آسہِ۔۲۔کمزور۔لاغر۔لیٚوٚژ۔۳۔یَس نہٕ چالاٗکی آسہِ۔

سُستی:-(م۔مؤل: سُستی ح ف: سُستی)۔ا۔آلۄژھ۔۲۔کمزوری۔۳۔بیٚہو اُلی۔

سُسکہٕ (گُل):-ڈونیگ اَکھ قسم۔

سُشمن:-(مؤل: سُشمن ح س: سُشمنا)۔اِنسانہٕ سندِس تھَر گنٛڈِس اندر اَکھ خاص نار مانہٕ یوان، (یۆگابیاسہٕ کنی)۔

سُشِپل، سوشِپل:-(مؤل: سُشِپل ح س: سُشپلہ)

یَس رِتی آداب آسَن ۔تمیز دار۔رِتہ کرداٗرک۔

**سُفٲرِش:**-(م۔مؤل: سُفٲرِش <ف: سفارش)۔ترقی بیترِ باپتھ کٲنسہِ ہُنٛدِ ہمایتہٕ پُژھی وَنُن یا لیکھُن۔ نوکری بیترِ باپتھ کٲنسہِ نِش واتنگ ذٔری یہ۔

**سُفٲرِش کرٕنی:**-کٲنسہِ ہُنٛد کام کڈنہٕ باپتھ یا سہ کٲنسہِ نِش ہیٚچھناونہٕ باپتھ تسُنٛد رُت۔ وَنُن یا کینہہ وٕنتھ ہمایتھ کرٕنی۔

**سُفٲرِشہِ ٹوٗٹ:**-سُہ یمۍ سُفٲرِشہِ سٟتی یوت کانہہ ہُد پرووٗمت آسہِ، نہ زِ لیاقتہٕ سٟتی۔

**سُقرات:**-(ن۔مؤل: سُقرات <یوٗنانی ، سوکریٹیز Socrates)۔ اَکھ مشہوٗر یوٗنانی حکیم۔

**سُکالرشِپ:**-(ن۔مؤل: سُکالرشِپ <اَنگ: سکالرشِپ Scholarship)۔ ژاتہٕ سُنٛد وٕظیفہ۔ تمہِ پٲنسہِ یِم کٲنسہِ پَرنہٕ یا ہیٚچھنہٕ باپتھ وَقتہٕ وَقتہٕ دِنہٕ آسَن یوان۔

**سُکہٕ ١:**-(ن۔مؤل: سُک)۔ ١۔ زورِ سُتُن۔ ٹسُن۔ ٢۔ مُش۔ مُکہٕ۔ موٗٹھ وٕنتھ لویمُت دٕوگ۔

**سُکہٕ دِین:**-سُتہٕ دِیُن۔ لورِ سٟتی یا کھونہٕ وَٹہٕ بیتر سٟتی زبر دِنی۔

**سُکہٕ ٢:**-(ن۔مؤل: سُک <پراکرت: سُکھ <س: شُشکہ)۔ دوٚپس۔ کھیٚن نہٕ پینہٕ کِنۍ لوٚگمُت فاقہٕ۔

**سُکہٕ دِیُن:**-(فاقہٕ دِیُن۔ کھیٚن نہٕ پیوٗن۔ دوٚپس کرُن۔

**سُکہٕ لگُن:**-فاقہٕ لگُن۔ دوٚپس گژھُن۔

**سُکہٕ ٣:**-(مؤل: سُک <؟)۔ نکہٕ لفظس سٟتی یوان۔ م: نکہٕ سُکہٕ۔ نِکہٕ سِکہٕ۔

**سُکُر:**-(ن۔مؤل: سُکر <ع: سُکر)۔ ١۔ تکبُر۔ کِبُر۔ گمنڈ۔ ٢۔ نہٕ بوزُن۔

**سکوٗٹر:**-(ن۔مؤل: سکوٗٹر <اَنگ: سکوٗٹر۔ Scooter)۔ اَکہِ قسمُک موٹرسیکل۔ دُ پَیل سوأری یُس پیٹرولس پیٹھ پکان چھےٚ۔

**سکور:**-(ن۔مؤل: سکور <اَنگ سکور۔ Score) کھیلہِ اَندر زینہٕ نُک شُمار (رَنَن گولَن بیترِ ہُنٛد)

**سُکراوُن:**-(ن۔مؤل: سُکراو <پراکرت: سمکڈڑھ <س: سمکرشتہ)۔ ژوٗمراوُن۔ موٗژراوُن۔

**سُل:**-(م۔مؤل: سُل <س: سہ + ویلا)۔ ١۔ وقتہٕ بروٚنٛہہ۔ صُبحُک وَق۔ ٢۔ کامہِ بیترِ تأجلی نہٕ آسٕنۍ۔ وَنہٕ وَق آسُن۔ بروٚنٛہہ پٔہَن۔ م: ژیر۔

**سُل گر:**-موقہٕ بروٚنٹھے پٔہَن۔ وقتہٕ بروٚنٹھے پٔہَن زیادٕ ژیرنہٕ۔

**سُلیمان:**-(ن۔مؤل: سُلیمان <ع: سُلیمان)۔ اَکھ مشہوٗر پٲغمبر، دپان تِمن اُسی اِنسانو علاوٕ دیو، جِن تہٕ جانور بیترِ تأبِع یا۔

**سُلیمان ٹوٗپ، ٹینگ:**-سرینگرس اَندر اَکہِ بالُک ناو، شنکر آچاریہ۔

**سُلیمأنی:**-اَکھ خاص دٕرٛنٛگو کٕنۍ۔ سنگِ سُلیمأنی۔ اَتھ چھُ رَنگ یُتھ پٲٹھۍ کرٕہُن تہٕ سفید آسان۔

سُلاخ:-(ن۔مۆل:سُلاخ<س:شَلاکا)۔اَ۔شُسترٕ و سیٚخ۔زِہٕتھ شُسترٕ و لۆر ہش۔۲۔سُراخ، خاص کٔرِتھ یُس گُنہٕ ہمارِ سٕتی آسہِ گومُت۔

سُلٲلی:-(م۔مۆل:سُلٲلی)۔اَکھ پھرٕستہٕ ذاتھ۔ پھرستہٕ لُکر ہُند اکھ قسم۔

سُلہٕ:-(<س:سہ+ویلا)۔ا۔وقتہٕ بروٗنٹھہٕ۔موقہٕ بروٗنٹھے۔ ییٚلہٕ وُنہٕ وق آسہِ۔۲۔صُبحٕ۔م:ژٕپری۔

سُلہٕ گرٕ:-موقہٕ بروٗنٹھے پہَن۔زیادٕ ژٕپری نہٕ یاعانہٕ وقتس پیٹھ۔

سُلہٕ ہِندی گُلہٕ میٹھی:-تہٕ دٕپتھ گو، گوڑٕ گوڑٕ اَپرٕ ماے محبتھ ہاوُن تہٕ پتہٕ گال کھاتٕس تراوُن یامنساوُن۔

سُلہٕ وُن:-(<م۔ہ: سُلوانا) ساوُن۔شُرِس بیترٕ نیندر پاوُنی۔

سُلوٗسہٕ:-(<اَنگ:سلیوٗس Sluice)۔بُر یابَریُس کولہٕ بیترٕ آب بنٛد کرنہٕ باپتھ آسان چھُ۔آبہٕ بُر۔

سُلطان:-(ن۔مۆل: سُلطان <ع: سُلطان)۔ بادشاہ۔راز۔حۆکوٗمتھ کرن وول۔

سُم ا:-(م۔مۆل:سُم<س:سیٚمَن)۔مَسک ژھٔین یُس ووڈِ ڈِنگنی دِنہٕ وِزِ تھوان چھِ۔

سُم پارٕنی:-ووڈِ ڈِنگنی دِتھ سُم کڈٕنی۔

سُم کڈٕنی:-ووڈِ ڈِنگنی دِنہٕ وِزِ مَستٕس ژھٔین دیُن۔

سُم ۲:-(م۔مۆل:سُم<س:سیٚمَن)۔کولہٕ اَپارِ یپور

ترنہٕ باپتھ لاگنہٕ آمُت کاٹھ۔

سُم ژٔٹنی:-ا۔کانٛہہ کٲم کارکرنس نہٕ صۆرتھ تھوٗنی۔ ۲۔ترٛتھ بد حرکتھ کرٕنی ییٚمہٕ سٕتی لۆکھ بےٚ وُسپلہٕ سپدان۔

سُم سوٗتھ:-(وَرگہٕ) مذٕہبی یا سماجی اوصوٗلن ہنٛز پابندی۔ اخلاقی ضابطہٕ۔ پرٲنس تہٕ نۆس ضابطٕس واتھ۔

سُم سوٗتھ دیُن:-ا۔ رفاہ عامہٕ چہٕ کامہٕ کرنہٕ۔ لۆکن ہنٛز آسایشہٕ ہِندی کار کرٕنی۔۲۔واتھ دیُن۔اَتھ وتھ اَتنۍ۔گنہٕ جایہٕ تھوٗن۔

سُم سوٗتھ ژٕٹُن:-روایتھ پھٔٹراوُنی۔بےٚ راہ نیرُن۔نیرتھ گژھُن (زنانہٕ بیترٕ ہُند)۔ ضابطن ہُند نہٕ پرواے برُن۔

سُم ۳:-(م۔مۆل:سُم<س:سیٚمَن)۔ہِندرِ لاگتھ پھیٚتی دارتلہٕ داوٕ یوسہٕ لگنہٕ وِزِ مہریٚنہٕ مَستس سُمہٕ پیٹھ گنڈان چھِ۔

سُمَن۔سومَن:-(ن۔مۆل: سُمَن <س:سُمَن)۔ پوشِکناو۔پوش۔

سُمَن سوے:-(م۔مۆل: سُمَن سوے)۔ا۔اکھ گنڈی دار گاسہٕ۔پوشہٕ دار سوے۔۲۔(وَرگہٕ پاٹھی) سو زنانہٕ یوسہٕ بتھی کٕنی مارٕ مُنٛز باسہِ مگر کتھِ کتھِ پیٹھ بچھنہٕ ووتھن۔

سُمِترا:-(م۔مۆل: سُمیٚرا<س:سُمِترا)۔لکشمن ہنٛز

مأج۔ رامایݨک کردار۔

سُمہِ ا، سُمبہِ:۔(ن۔ مۆل: سُم < ہ: سُمیا < س: شُمبھ)۔
ا۔ ژھیٖن۔ کھارِ سُند شیٖشتر ژٹنُک اَکھ سامانہِ۔
۲۔ بانَن ناو کھنہِ باپتھ ٹھاٗٹھرِ سُند اَکھ سامانہِ۔

سُمہِ ۲:۔ زور۔ ہمکتھ۔ توژھ۔

سُمہِ لوسنہِ:۔ توژھ سورِنی۔ ہمکتھ نہٕ روزِنی۔

سُمہِ نہٕ روزنہِ:۔ ہمکتھ کم گژھنی۔ تم زور نہٕ روزِنی۔

سُمَرَن:۔(م۔ مۆل: سُمَرَن < س: سَمرنَہ)۔ ا۔ تسبیح، زپہٕ مال۔ ۲۔ یاد وۆتُر یاداش۔ ۳۔ یادگار۔

سُمَرَنہِ پھۆل:۔ تسبیح دانہِ۔

سُمَرَن پھرِنی:۔ تسبیح پھِرِنی۔

سُمَرَن دِنی:۔ یاد پاوُن۔ ژینہٕ وَن دِنی۔ ژٕتَس پاوُن۔

سُمَرَن روزِنی:۔ یاد روزُن۔ مُشتھ نہٕ گژھن۔ حبس روزُن۔

سُمری ماوَس:۔(م۔ مۆل: سُمری ماوَس < س: سومادتی + اَماوَسیا)۔ سو ماوَس یُس سہ ژٕندر روارِ دوہہ آسہِ۔

سُنی:۔(مۆل: سُنی < س: سُنّی)۔ مُسلمانن ہُند اکھ فرقہِ۔ اَہلِ سونتھ۔

سُند:۔(مۆل: سُند < س: سَنتکہَ)۔ مِلکیتھ یا قبضہِ ہاوَنک اَکھ پوت لوٗگ۔ م: تَمِ سُند۔ کُمِ سُند۔

سُوا:۔(ن۔ مۆل: سُو < پراکرت۔ سوٗای < س: سوٗچہِ)۔ اکہِ قسمُک لوٗکُٹ ہُو یَیمہِ سٟتؠ گنہِ مُنزی فیتہِ بیترِ تاران چھِ یا یَیمہِ سٟتؠ کانٛہہ موٗٹ پلو بیترِ سُوان چھِ۔

سُو ۲:۔(مۆل: سُو < ویدک س: سیؤتہ)۔ (ٹھانہِ بیترِ) سِپہِ۔ یہِ پۆرِ پاٗٹھی بنٛد آسہِ۔ یہِ ژٕژٕٹہِ آسہِ بہتھ۔

سُو بہُن:۔ سِپہِ بہُن۔ دَبہِ بہُن۔ پۆرِ پاٗٹھی بنٛد گژھن۔

سُو ۲:۔ تَتھ ڈَنٛڈس وَنان یُس (سِکھہِ راجس منٛز) کانٛسہِ گرِ پِسی سِندِس آنگنس منٛز راتھ کیٖت بےٚ شوٗنکی پاٗٹھی ٹھکتھ اوس تھوَنہِ یِوان۔ یَتھ وُچھتھ سہ پانے بیگارِ باپتھ حاضِر سپدان اوس۔

سُو تژ اوُن:۔ ٹھک تژاوُن۔ کانٛسہِ ہِنٛدِ گرِ کانٛہہ چیز اَمہِ ژینہٕ وٟنی تژ اوُن زِ بہ ہساوتسے (پُژھی لاز)۔

سُو ناوُن:۔ (ہِنٛوس بیترِ اَتھہِ) پلو بیترِ بناوناوِنی۔

سُوُن:۔(ن۔ مۆل: سُو < س: سیوَنہ) پلوٗس بیترِ ٹیب دِنی۔ پلوٗس بیترِ واٹھ دِیُن۔ تژ وٕپ دِیُن۔

سُہَل:۔(ن۔ مۆل: سُہَل < ع: سُہیل)۔ ہرِ دِنی ہٕتی داہ دوہ۔

سُے:۔(< س: سَہ + ایو)۔ سہٕ تہٕ بییہٕ نہٕ کانٛہہ۔ تَس مُتعلق وَنان یُسُند ذِکرِ آسہِ۔ یٕمی ہٕنز کتھ چلان آسہِ۔

سُیا:۔(س: سُیا)۔ سو یہٕ بُتھ۔ راژِ اونتی ورمن سِندِ وقتُک اَکھ مشہوٗر ماٗہر (اِنجینیٖر) یٕمی سأیلابس روٗٹ کرنہِ باپتھ گوڈٕ نِکہِ پھِر ویتھِ پاز کرنوو۔ (اَہنٛدِ سے ناوَس پیٹھ چھے سوپوٗر چ سَرے آباد کرنہٕ آمِژ)۔

سۆپ:۔(ن۔ مۆل: سۆپ < اَنگ: سۆپ۔ م۔ س:

سۄپہَ )۔رَس۔شوربہٕ۔

سۄتَگھ:-(ن۔مؤل: سۄتَگ <س: سۄتَکہٕ) ۔ (پزسَنگ) ہونٛژھ۔

سۄٹھ۱:-(ن۔مؤل: سۄٹ <اَنگ: سۄٹ Suit) پَلو جورٕ یُتھ پأٹھی کوٗٹھ پَتلوٗن یا فراک پأجامہٕ تہٕ ڈُپٹہٕ بیترٕ (خاص کٔرِتھ یِم اَکی رَنٛگکی آسَن)۔

سۄٹھ کیس:-لوکٕٹ صوٗندوٗق یَتھ اَند رِ پلو تھوان چھِ۔پلَوَن بیترِ کیٛت لوتہٕ وأے صوٗندوٗق۔

سۄٹھ۲:-(ن۔مؤل: سۄٹھ <آوازِ پیٛٹھ۔م: پنجأبی: سۄٹا)۔چٕرَس بیترٕ ہیۆتمُت زیوٗٹھ کَش۔

سۄٹھ مارُن:-زیوٗٹھ دام ہیۆن۔

سۄج:-(م۔مؤل: سوج <ہ: سۄجی)۔اکہٕ قسمُک پھَلی دار رِ کِنکہٕ اوٹ،اَتھ چھِ حَلوٕ بناوان۔

سۄد:-(ن۔مؤل: سۄد <ف: سُود)۔۱۔روپیہٕ ووزُم دِتھ تَتھ پیٛٹھ کھارنہٕ آمُت مُنافہٕ۔۲۔فأیدٕ۔مِ: ژٕ ربن کتھَن نہٕ سۄد۔

سۄدِ دِیار:-تِمہٕ روپیہٕ یِمہٕ ووزُم دِتی مِتیٚس رٔقمَس پیٛٹھ ہیٚنہٕ ییٚن۔

سۄدِ راز:-سۄدِ باپار۔سۄدِ رِ سُند کام کار۔

سۄدِ در سۄد:-سۄدَس پیٛٹھ سۄد۔سۄدِ دیارَن تہٕ سۄد۔

سۄد نیرُن:-نفع یُن۔فأیدٕ یُن۔

سۄدُر:-(ن۔مؤل: سۄدَر <ف: سۄد)۔سۄد ہیٚنہٕ وول۔ووزُم دِتی مِتیٚس رٔقمَس پیٛٹھ نفع کھارُن وول۔لابُر۔م:سۄد ریٚنٛز۔

سۄرا۱:-(ن۔مؤل: سۄد)۔۱۔پھسکھ ہِش یوسہٕ کُنہٕ چیٖزَس ڈٕزِتھ موژان چھے۔۲۔یوٗ۔

سۄرَس منٛز ہِشَن:-تِہٕ ڈٕپتھ گوتہٕ یِہٕ نہٕ سٔہل پأٹھی اَتھہِ ییہ۔یِہٕ نہٕ واضیح آسہٕ۔

سۄرِ بَنہٕ ہِشَن:-وُچھو"سۄرَس منٛز ہِشَن"۔

سۄرِ بنِ کاونہٕ ووتھُن،سۄرِ بَنہٕ کاونہٕ ووتھُن:- پۆچھ تاچھ نہٕ ووتھُن۔بلکل نہٕ ذِکرے کرنہٕ ینٛز۔پرٛژھہِ گأرنہٕ سَپدُنی۔گال کھاتُس گژھُن۔

سۄرِ بوٗن:-بوٗڈ بُر ڈیر۔

سۄرِ ٹاس:-۱۔آتَش بأزی یَتھ نہٕ بٔڑ ٹاس نیرِ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی)یَتھ نہٕ کہٕنٛہ بَرکتھ نیرِ۔یِہٕ وِچھان وِچھان خَتم گژھہِ۔یِہٕ پھَکھ گژھہِ۔

سۄرِ دَگ:-شُٹھیٛمبٕر لوٗ۔

سۄرِ زمیٖن:-سۄرِ دار زمیٖن۔بوجردار زمیٖن۔سُہ زمیٖن یُس نَرم تہٕ کرٛہُن آسہٕ کُنہٕ فصلس کیٛت جان آسہٕ۔

سۄرِ گوسوٗنی:-۱۔گوسوٗنی یَنٛگی سأری ہے پانس سۄر مۆلمُت آسہٕ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)شُر بیترٕ یُس ژھوتُس پیٛٹھ رِگندنہٕ کُنہٕ ہیٚرِ بونہٕ لٔگِتھ تِی برنہٕ آسہٕ آمُت۔۳۔ڈُٹھے تٕراوَن وول۔

سۄرِ لوبُر:-بٔنٛھی لوبُر یَتھ ڈٕزِتھ سۄر آسہٕ گومُت۔

سۄرِ مَنَن:-مَنَن یَتھ نار ژھبتہٕ گٔژھتھ سۄری آسہٕ گومُت۔

سۄرِ موٗت:-۱۔موٗت یُس پانٛس سۄرمتھان آسہِ یَس پانس سۄرمُلِتھ آسہِ۔۲۔شُر بیترِ یُس سۄرس پێٹھ رگنٛدان آسہِ۔

سۄرِ وُلِتھ ژۄرِ جماتھ:-تہِ دۄپتھ گوسو بَد ماش جماتھ یَتھ نہٕ نمبر گومُت آسہِ۔یِم نیٖبری کَنۍ زَنتہِ سأداَسن۔

سۄر سوارَن تہٕ افسوس پیٛادَن:-تہِ دۄپتھ گو کأنٛسہِ نہٕ کینٛہہ حاصِل یُن تہٕ سأری وَچھِ وَچھ دِوان روزٕنۍ۔کأنٛہہ تہِ نہٕ خوش روزُن۔

سۄرساس:-۱۔دۄزِتھ موٗژُومُت سۄرٕے یوت۔۲۔(ورگہِ پأٹھۍ) کینٛہہ نہٕ۔کہنۍ تہِ نہٕ۔

سۄرکرُن:-۱۔زأیلِتھ ژھُنُن۔زأیلِتھ پھکھ کرٕنۍ۔۲۔ریزٕ فانہِ کرٕنۍ۔۳۔ختم کرِتھ تھاوُن۔چِھ تہٕ نہٕ کرُن۔تباہ کرِتھ ژھُنُن۔وُڈاوُن۔فنا کرُن۔

سۄرگرٛوٚھن:-تیوٚنگُل یانار استیمال نہٕ کرنہٕ کَنۍ ضایہِ گرٛوٚھن۔دَزُن۔دۄزِتھ ضایہِ گرٛوٚھن۔

سۄرمُلُن:-(ورگہِ پأٹھۍ) وأراگ یُن۔گرٕ بار ترأوِتھ ژلُن۔سَنۍ یاس ہیوٚن۔فقیٖری ہیٚنۍ۔

سۄرٕ۲:-(م۔مۄل: سۄر <س: سارَ)۔۱۔کنِمن بیترِ ہُنٛد لۄدمُت پۆختہٕ دیوار۔قلاے۔۲۔بَنٛڈ۔کولہِ بیترِ ہُنٛد سۄتھ۔

سۄرِ لادٕے:-(کولہِ بیترِ) بَنٛڈ کھارنٕچ کام۔سۄتھ دِنٕچ کام۔

سۄری پێٹھ تھاوَن:-ہیتھ ژلُن۔تِھچھ دِتھ ژلُن۔کأنٛہہ چیز ژۄرِتھ ژھپھ ہیٚنۍ۔

سۄرِنۍ:-(م۔مۄل: سۄرنۍ <پرٛاکرت: سۄار <س: سوکرٛ)۔سورٕ ہنٛز ماد۔

سۄرٕ:-(ن۔مۄل: سۄر <ع: سورتہ)۔قرآن، شریفُک باب یا حِصہٕ۔قُرآن شریفس چھِ کُل اَکھ ہتھ تہٕ ژۄداہ سۄرٕ۔

سۄرَے اخلاص:-سۄرَے تخلاص۔قرآنِ شریفُک اَکھ ہتھ تہٕ بٕہیم سۄرٕ۔قُل ھُو اللّٰہ اَحَدٌ۔اَتھ اَندر چھُ خوداتعالاہسٕنٛد گُنَن ہُنٛد ذِکر۔

سۄرَے شفا:-قُرآنِ شریفُک گوڈنیُک سۄرٕ۔سۄرَے فاتحہ۔

سۄرَے یاسیٖن:-قرآنِ شریف کہِ اکہِ سۄرُک ناو یُس زِتوٗہہ مہٕ سِپارِ منٛز چھُ۔

سۄری۱:-۱۔سۄرِ رنٛگس پێٹھ۔یُتھ رنٛگ سۄرس آسان چھُ۔

سۄری کرُن:-۱۔تیوٚنگُل یانار استیمال نہٕ کرنہٕ کَنۍ ضایہِ کرُن۔تیوٚنگلس بیترِ وہہٕ وُن تھوٚنہٕ ژٕنہٕ بَدل سۄر کرُن۔۔تیوٚنگُل بیترِ ژھِتہٕ نہٕ کرنہٕ کَنۍ کرُن۔۲۔وقتس پێٹھ استیمال نہٕ کرُن۔ضایہِ کرُن۔

سۄری گرٛوٚھن:-۱۔دَزُن۔دۄزِتھ ضایہِ گرٛوٚھن۔۲۔تیوٚنگلس یانارِ کانگرِ بیترِ وہہٕ وٕنۍ روزنہٕ کَنۍ

ژنو بدلہٕ سۄر گژھُن ۔ نارٕ کانگر ژھبہٕ گژھنۍ۔

سۄرۍ۲:۔سۄرٕ ‌تی چاے۔

سۄرۍ کنۍ :۔ا۔ بۆڑ کنہٕ پَل بیترِ یُس آبک دَ کہٕ رَٹنہٕ باپتھ بَنڈس تلہٕ کنہٕ تھوان چھِ۔ آبک دَ کہٕ رَٹنہٕ باپتھ سۆتھس دِنہٕ آمژ بڈٕ کنۍ ۔۲۔ اکہِ قسمٕچ سیاہ رَنگہٕ کنۍ یوسہٕ یژٕ پأٹھۍ تأمیرس لگان چھےٚ۔

سۄرما:۔(مۄل: سۄرماہ: سُورما ح س: شوٗرَ+ مان) پَہلوان ۔ بہوٗدر۔ دِلیر۔

سۄزِش:۔(م۔مۄل:سۄزش حف:سوزِش)۔ا۔پھُہن۔ سخ تَژٕ یُس ژٕ دی ہِتسن ووتھان چھُ۔۲۔دَرم۔

سۄسمار:۔(ن۔مۄل:سۄسمارحف:سۄسمار)۔ا۔کیٖنکہٕ لٹ۔۲۔أندرٕ ہمل۔

سۄسمأری:۔ازرۄن۔

سۄسۍ:۔(ن۔مۄل سۄسۍ حف:سوسی)۔أکھ رکھ دار کپُر۔

سۄسی پلو:۔نألی لاگنگ سۄسی کپرٕک پلو۔

سۄلی :۔(م۔مۄل: سول ح س:شوالہ+اِکا۔م: ہ: سولی)۔پھأسی۔ پھٔھی۔ دار۔

سۄلہِ کھالُن :۔ا۔پھاسہِ کھارُن۔ پھٔہہ دیُن۔ دارس کھالُن ۔۲۔ گنہٕ بلایہِ بُتھ دیُن۔

سۄلی دِنۍ :۔پھأسی دِنۍ۔

سۄم :۔(ن۔مۄل سۄم ح س:سومَہ)ژنٛدر۔سوم۔زۄن۔

سۄہم :۔(مۄل: سۄہم ح س: سوہم)۔ سُہ چھس بہٕ۔ أناالحق۔ ویدانتن تہٕ کینژن صوٗفی ین ہنژِ آگہی

ہُندأکھ مقام۔

سۆہم سۄ:۔أناالحق ۔ ویدانتن تہٕ کینژن صوٗفی ین ہنژِ آگہی ہُنداکھ مقام

سۆپُن :۔(ن۔مۄل: سۆپن ح س: سۆپنہٕ)۔ ا۔خاب۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) گُمان۔ اَپزٕ خیال۔بژ ونتھ ۔ یہٕ نہٕ ہُنتھ ہیکہٕ۔

سۆپنٕ ین :۔خأبٕ یُن ۔ خابس أندر ڈیشُن۔

سۆپُن ڈیشُن :۔ا۔خاب وِچھُن ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) بڑأنتی گژھنۍ ۔ رایہٕ گوٚھنہٕ۔

سۆپُن وُچھُن :۔خاب وُچھُن۔

سۆپنہٕ پھَل :۔خابک تأبیر۔

سۆپنہٕ دۄش:۔سنیٖنٛد رِ منٛز دات پکُن،شیطان لگُن۔

سۆپنہٕ مایا:۔ا۔تہِ یتھ نہٕ کنٛہ یاد پےٚ آسہٕ۔ نٔگ گمان۔۲۔ تیُتھ کینٛہہ رُت وِچھُن تیٚچ نہٕ کانٛہہ وومیدٕ ےٚ آسہٕ۔

سۆت ا:۔(ن۔مۄل: سۆت ح س: سُپتہٕ)۔ ا۔ ہمیٚوٗمُت ۔ یتھ نہٕ تیزی آسہٕ۔ یتھ نہٕ زیادٕ جوش یا تۆژر آسہٕ۔۲۔ نرمیوٗمُت ۔ سُست۔ لۆت ۔۳۔کےٚ کےٚ۔

سۆت تَب :۔(ورگہٕ پأٹھۍ) وارٕیاہ کالس آسہٕ وُن لۆت لۆت پٔتھ۔

سۆت سۆت:۔لۆت لۆت۔ وارٕ وارٕ۔ زیادٕ تیز نہٕ۔

سۆژتھمبر ووٗشلنۍ :۔کانٛہہ شوٗ دبوٗ دتھ صاوِ چھان وِچھان کینٛہہ غأر موموٗلی گرٕتھ بارسس یُن۔

سۆت۲:-(ن۔مؤل:سۆت<پڑاکرت:سَتتہٕ<س: سکتہٕ)۔ا۔بِزتھ مکایہِ ہُند یا ءکنکہِ بیتر ٹیک اوٹ۔بِزتھ اوٹ۔۲۔ژِن۔چوٗر۔

سۆت چاے:-چاے یوسہٕ سۆتس ءستی چَنہٕ ییہِ۔

سۆت کرُن:-(ورگہٕ)سۆر کرُن۔ژِن کرُن۔ چوٗر کرُن۔

سۆت گرٛٹھن:-ا۔(ورگہٕ)مہینہٕ گرٛٹھن۔پشنہٕ یُن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی)سَخ تھکُن۔ژھینتھ پیوٚن۔

سۆتُر:-(ن۔مؤل: سُتر <س: ستر)۔ا۔ہموار۔ یَتھ نہٕ کھس وَس آسہِ۔یَتھ نہٕ دوب یا ٹینگ بیترٕ آسُن۔۲۔یَتھ نہٕ پھُہر یر آسہِ۔نرم۔

سۆتُر گور:-ٹوٗگر یوتہٕ کانگنوٗروٗس گور۔

سۆتھ:-(ن۔مؤل:سۆتھ<س:سیتہ)۔کولہِ بُٹھس بیترٕ کھارنہٕ آمُت میژِ ہُند)ڈنگہٕ۔سَلہ۔

سۆتھ دِین:-(سۆتھ کھارُن۔کولہِ ہنٛدی بُٹھی کھارٕنی۔سَد بنٛدی کرٕنی۔۲۔ژھین دوٗر کرُن، واتھ دِین مُژکری کاسنی۔

سۆتھ گنڈُن:-سۆتھ دِین۔ساُلابہٕ بیترٕ کنی پرٕ گومُت سۆتھ نوٚسرٕ کھارُن۔

سۆدُر:-(ن۔مؤل:سۆدُر<س:سَمُدرُ)۔ا۔سمندر۔ ۲۔سَر۔۳۔ذخیرٕ:خزانہٕ(عِلمہٕ بیتر ٹیک)۔

سۆدرٕ بوٚٹھ:-سَمند رُک اَنٛد۔ساحِل۔

سۆدرٕ پوٚ:-سَرس یا سمندرس منٛز ناو پکناونچ وَتھ۔

سۆدرٕ کھون:-ا۔خَلیج،سۆدرُک یا سَرُک سُہ حِصہٕ یُس زمینہٕ اَندر تام ژامُت آسہِ۔۲۔ڈلچ اکھ (مشہوٗر) کھون۔

سۆدرٕ مِلہٕ وَن:-سولو کٹ کول ہش یوسہٕ دوٚن سۆدرن پانہٕ وٲنی مِلہٕ ناو۔

سۆدرٕ:-(مؤل:سۆدر<س:سَہودَر)۔اَکی ڈمبکی۔ ماجہ بارٕنی،بیٚنہٕ یا بوے۔

سۆدرٕ کانٛز:-(ن۔مؤل:سۆدرٕ کانٛز<س: ساروز+ کانجی)اکہ قسمُک ژوکہ ر یُس اَنہٕ مَس آنٛر بیترٕ ترٲوِتھ کھاران چھہِ۔

سۆدرٕ کانٛز پوو:-سُہ بانہٕ یَتھ اندر سۆدرٕ کانٛزِس ژوکہٕ کھارنہٕ یوان چھہ۔

سۆروٗد:-(ن۔مؤل:سۆروٗد<ف: سرود)۔ا۔واینگ اکھ ساز۔۲۔مؤسیقی ہُند(مجموٗعی)لُطف۔

سۆروٗدِین:-کانٛہہ ہِش کھسنی(نشہِ کرنہٕ ءستی یا گیوٚن بیترٕ بوزنہٕ ءستی)لُطف یُن۔

سۆژرَن:-سو تیٚنچ حالتھ۔سۆت گرٛٹھنچ کاٗم۔ سۆژراونچ کاٗم۔

سۆژرُن:-(ن۔مؤل:سۆژر<س:سُپتہ)۔سۆپ) سۆت کرُن۔تیٚمہ یا تیزی وٕلنی۔ووجَر کڈُن۔ ہُمہٕ راوُن۔

ہ-سۆس،سۆست:-(<س:سَہستہ)۔سان۔ءستی۔ مِ:آیہ سۆست یہ یُس آے آسہِ۔

سۆفۆف:۔(اِ۔مؤل:سۆفوف<ع:سفوف)۔پھکھ۔

سۆک،سۆک پچھن:۔(ن۔مؤل:سۆک پچھن<س: شکہِ +پکشن)۔اَکھ پچھن ذاتھ اُمس چھےٚ تیۆٚنت گرِتھ لُٹ آسان۔

سۆگُر ا:۔ا۔نیۆلےٚ۔خام۔نامکمل۔۲۔نہ بہن لایق۔ م:سۆکری ٹر۔۳۔اڑ دۆل۔یہِ نہٕ پۆر پاٹھۍ مُننہٕ آمت آسہِ۔۴۔وارِ پاٹھۍ نہٕ رَننہٕ یا بُزنہٕ آمت۔۵۔اَڈلیۆک۔

سۆگُر:۔نشہِ رِکپر۔

سۆکۆل:۔(ن۔مؤل: سۆکۆل <اَنگ: سکۆل School)۔ا۔مدرسہ۔سُہ ادارِ یتھ تالیم پرناونہٕ یا کارکسب ہیترِ ہیٚچھناونہٕ ییہِ۔ژاتہٕ ہال۔۲۔دوزیا جماتھ یوسہٕ کُنہِ خاص اُصوٗل یا عقیدتس پابند آسہِ۔کُنہِ خاص دَریک پاٹھۍ رو یا پابند۔مکتبِ خیال۔

سۆکۆل ماسٹر/ ماشٹر:۔ووستادیُس مدرسس منٛز بن پرناوان آسہِ۔

سۆکۆن:۔(ن۔مؤل ۔سۆکۆن <ع: سکون)۔ ا۔آرام۔قرار۔شانٛتی۔۲۔وَتھکھ۔ٹھہراو۔

سۆکۆنتھ:۔(م۔مؤل:سۆکۆنت<ع:سکونۃ)۔یتھ جایہِ کانٛہہ لبان آسہِ،روزان آسہِ۔بسن جاے۔ رہایِش گرٕ۔

سۆکۆنتھ کرٕنۍ:۔کُنہِ جایہِ بسن۔گرٕ کرُن۔رہایش کرٕنۍ۔

سۆکراوُن:۔(ن۔مؤل: سۆکراو <سُتراوُن، لفظُک بِگار)۔ ژمین مُتۍ آلہٕ ہیترِ ستۍ سۆتُر کرُن۔ ژمینس یا ڈۆرِس ہیترِ کھس وَس کڈُن۔سُتراوُن۔ ہموار کرُن۔ڈۆر ہیترِ شیرُن۔

سۆکِھتھ:۔(مؤل: سوکِھت <س: سُکھِتہ)۔فراغو سان۔خوش تہٕ خوشحال۔غموتہٕ فکرو روس۔کُنہِ تفریقہٕ ورٲے۔آرامہٕ تہٕ آسایشہِ سان۔

سۆکِھتھ بہُن،روزُن:۔فراغو سان بہُن۔لۆتتھ بہُن۔ کانٛہہ مُشکِل ہیترِ دۆرگژھتھ ووشۆترٲوِتھ بہُن۔

سۆکھی:۔(مؤل:سۆکھی <س:سُکھی)۔یُس سوکھ آسہِ۔ بےٚ غم۔یُس عاش تہٕ آرام آسہِ۔یُس نہٕ کانٛہہ غم آسہِ۔

سۆگ:۔وِچھو "سرٛوگ"

سۆل:۔(ن۔مؤل: سۆل ،سَل <ہ: سالۆ)۔اکہِ قسمُک تۆن پاٹھۍ کپُر،اَتھ چھُ رَنگ ووزُل تہٕ تیز آسان تہٕ یہِ چھُ یِژہ پاٹھۍ سنجانس لگان۔

سۆلی دستار:۔سۆل کپرُک گنڈنہٕ آمت اَستار۔ یہِ اَسی یِژہ پاٹھۍ شرٛ بن گنڈان۔

سۆم،سۆمب:۔(مؤل:سۆم/سۆمب <س:سَمہ)۔ ا۔(کُنہِ یا کانٛسہِ) برابر۔یوت۔۲۔ہموار۔ یتھ نہٕ ہیۆر بون آسہِ۔۳۔(کُنہِ کانٛسہ) ہیۆہ۔ ہیۆے۔۴۔نہٕ زیادٕ ژۆر نہٕ زیادٕ کم۔بۆزِتھ۔ دَرمیانٛی۔

سَمہٕ ڈیشٹ:- ہِشی نظر وُچھن وول۔ گُنی نظر کرن وول۔

سَمہٕ درٛیشٹی:- سۆم نظر۔ اَکی نظرِ وُچھن۔ راے نہٕ کرٕنی۔

سِمِس سۆم:- ہوس ہیٛؤہ۔

سِمِس سۆم نیا مَتھ، بےٚ سۆم گو قیامَتھ:- تہٕ ڈٕپِتھ گو، ہوس ہیٛؤہ چھُ چھُ سَجان تہٕ اَن ہشرَن چھےٚ ہشہِ ٹھوسہٕ ٹھوس روزان۔ اَن ہشرس منٛز پھٔسِن چھُ بۆڈ ڈستم۔

سۆمبُل:- (ن۔ مۆل: سۆمبل <ع: سُنبل)۔ ا۔ اکھ خوشبوٗ دار پوشہِ ٹھُر یا تمیُک پوش۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) پأڈٕ مَس۔ زیوٗٹھ تہٕ پشُل مَس۔

سۆمبلہٕ مَس:- پوٹ ہیٛؤہ پشُل مَس۔ زأوُیُل تہٕ پشُل مَس۔

سۆمبرن:- (م۔ مۆل: سۆمبرن <ویدک س: سَمبھرنہ) ا۔ یکجا (کرنہٕ آمُت) مجموٗعہٕ۔ ۲۔ بچھتھ۔ یہ سمیٛوٗمُت آسہِ یا سۆمبراونہٕ آسہِ آمُت۔ یہ پتھ پلہٕ کوٗرمُت آسہِ۔ سَنٛزٕ بتھ۔

سۆمبراوُن، سۆمبرٕن:- (ن۔ مۆل: سوبر <س: سَمبھرنہ)۔ ا۔ اَکی جایہِ ڈیر کرِتھ تھوٗن۔ جمع کرِتھ کرِتھ تھوٗن۔ ڈٕنتھ تھوٗن۔ ۲۔ پتھ پلہٕ کرُن۔ بچاوُن (پوٗنسہٕ ٹوٗنک بیترِ)۔ ۳۔ (زمین بیترِ) سۆم کرُن۔ ڈوٗرِ بیترِ کھٔس وِس دوٗر کرُن۔ ہموار کرُن۔ سُتراوُن۔ ۴۔ اورچہ یورچہ کتھہِ بیترِ مَنہٕ منٛزٕ گرنہِ۔ کتھہِ گرنہٕ (برابری اَنہٕ باپتھ)

۵۔ أکِس بییٚس نِش جمع کرِتھ اَنُن۔ أکِس بییٚس ہیوٗن (چندٕ بیترِ)۔ ۶۔ موچھہِ منٛزٕ اَنُن۔

سۆن:- (مۆل: سَن <ویدک س: سَنَہ)۔ ا۔ سرٛ ون۔ یتھ سبٹھاہ ووٚنت آسہِ۔ یتھ نہٕ تھاہ آسہِ۔ یُس سبٹھاہ تَل تام آسہِ۔ یتھ ژوٗک واریاہ دوٗر آسہِ۔ ۲۔ زمین بیترِ یُس پاتھلِس یا پاپین حصس کُن آسہِ۔ محلہٕ یا گام بیترِ یُس کھوڈس کُن آباد آسہِ۔ ۳۔ یُس نِش نہٕ کتھ سَہل پأٹھی نیرِ۔ یُس نہٕ اوٚپ آسہِ۔ یُس نہٕ پھٕٹرٕ تہٕ آسہِ۔ گمبیر۔ سنجید (مزاج)۔ ۴۔ سُہ یُسنہٕ منگ ووٚنت اَتھہِ ییہِ نہٕ۔ یُس پننٕ کتھ سبٹھاہ کھٕٹِتھ آسہِ تھوان۔

سۆن تہٕ ووگُن نہٕ وُچھُن:- پتھ بروٚنٹھ نہٕ وُچھُن۔ کأم بیترِ سوچنہِ کرنہٕ ورأے شوٗرُ کرٕنی۔ حُسن تہٕ قُبُح نہٕ گنٛزرُن۔ بۆزِتھ نہٕ پکُن۔

سۆن ووگُن:- ا۔ ہیوٗر تہٕ بون۔ تھوٗد تہٕ تَل۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی)۔ زِندگی منٛز ژوٗک موٗدُر، آسأیش تہٕ تکلیف تہٕ۔ جأنی تہٕ ناکارٕ گی۔

سۆن ووگُن بوزُن، وُچھُن:- کُنہِ کتھہِ ہُند سیاہ سفید یا نفع نوقصان دأرزُن۔ کتھہِ ہُند خطرٕ تہٕ وأرل آسُن مَدِ نظر تھاوُن۔ کانٛہہ کأم دَردَس اَنہٕ بروٚنٹھ پتھ جأنی یا ناکارٕ گی سوچٕنی۔ کتھ یا کأم کرنہٕ بروٚنٹھ سوچُن۔ پتھ بروٚنٹھ وُچھُن۔

سۆنی:- (ن۔ مۆل: سۆنی <س: سَم بندھن)۔ ا۔ نوشہِ

ہُند مول یا زامٕترۍ سُند مول۔کورِ ہُند یا نچوی سُند
ہٕہر ۔۲۔نوشہِ ہِنٛدۍ مالنۍ یا زامٕترۍ ہِندِ طرفُک
کانٛہہ رِشتہٕ دار۔

سۆنۍ پَژے:۔سوٚنٛبن ہنٛز پانہٕ وٲنۍ رِشتہٕ دٲرۍ
(کھاندر بپتھ گرتھ)

سۆنۍ پۆکھ:۔سۆنۍ دوز۔

سۆنۍ دوز:۔سونۍ۔سوٚنٛبن ہِندِ طرفہٕ رِشتہٕ دار۔

سۆنۍ کوسامٕتھ:۔سۆنۍ قٔبیلہٕ۔سۆنۍ دوز۔سوٚنٛبن
ہُند گرِتہٕ باتِہ پترِ بپتھ۔

سۆنۍ کوٗر:۔سوٚنٛبن ہِندِ پَکھچ کانٛہہ کوٗر۔سوٚیِس
پزنہٕ پیٹھی یزتھ گرِ ز۔

سۆنۍ گر:۔سۆنۍ ہِندِ گرِ کی باٗژ۔

سۆنۍ گوٚبُر:۔سوٚنٛبن ہِندِ طرفُک لاٗزِم دٔرکوٗٹ بپتھ۔

سۆنۍ موٚہنیو:۔سِہ نفریُس سوٚنٛبن ہِندِ طرفہٕ شیٚچھ
پأغام بپتھ ہتھ یوان آسہٕ۔

سوٚنٛگ:۔(ن۔مؤل:سونٛگ <ویدک س:سَمُدٛگہ)
لوٗٹ ڈبہٕ یتھ اندر بکہٕ سِکہٕ چیز تھوٗنہٕ یوان چھِہ۔

سوٚنٛگُل ۔سونگوٗل:۔(ن۔مؤل: سونٛگل)۔اکہٕ
قِسمٕچ فِکر۔

سوٚہوٗلتھ، سوٚہوٗلی ہتھ، سوٚہوٗلی یتھ:۔(م۔مؤل:
سوٚہولت (ع:سہولۃ)۔۱۔(دأدِس بپتھ) لوٗزر۔
فرق ۔نرمی۔۲۔گُنہِ مُشکِلس بپتھ آسانی۔وار۔
اَتھ وتہ۔آساٗیش۔

سوٚے:۔(مؤل:سوٚے)۔کوگرز وٕ۔کیٛمی یم کوگرن
بپتھ ووتھان چھِہ۔

سوبٕو دانہٕ ۔سوگوٗ دانہٕ:۔(ن۔مؤل: سوبٕو دان <
ملیشاٗیی: ساگو+ف: دانہ)۔اکہِ قِسمُک سیٚر
ہیٚوٗ اَناج یُس أکِس خاص کُلس چیرِتھ کڈنہٕ
یوان چھُ۔یہِ چھِ یٔژ پاٗٹھی بمارَن دِوان۔

سوپور:۔(ن۔مؤل: سوپور/سوپر <س: سُیّہ+پُر)۔
کمرازس اَندر اکہِ مشہوٗر قصبُک ناو۔(یہِ چھُ
راز اونتی ورمن ہِندِس زمانٕس منز مشہوٗر اِنجنیر
سُیا ہِندِس ناوَس پیٹھ بساونہٕ آمُت)۔

سوپوٗری ماذرتھ:۔وُتھِ ماذرتھ۔یُژھس بپتھ نہٕ
سو دِلہٕ پزِ ژھُن۔

سوپھ، سوٗپھی:۔(م۔مؤل: سوپ)۔۱۔شُسترٕ
کان۔سو کان یتہِ کڈان آسَن۔۲۔کشیٖرِ اَندر
اکہِ علاقُک ناو۔

سوٚتھ:۔(ن۔مؤل:سوتھ <پراکرت:سَنتھ <س:سَنتھ۔
م۔ہ:سانٹھ)۔۱۔اَٹ۔ژوے۔یکوٹہٕ سُمتھ
کاٗنسہِ خِلاف ووتھُن۔۲۔پانہٕ وٲنۍ اِتفاق۔
سَمت۔مِلہٕ ژار۔

سوٚتھ تھوٗن:۔پانہٕ وٲنۍ اِتفاقہٕ سان روزُن۔
اَتھِ واس تھوٗن۔

سوٚتھ روزُن:۔اتفاق روزُن۔اَتھِ واس تھوٗن۔
سَمہٕ ژار تھوٗن۔اکِٹ آسُن۔

سوٗتھ کرُن:-(کانٛسہِ خلاف) اُٹ کرٕنۍ۔ ژوے کرٕنۍ۔

سوچ،سوٗنچ:-(ن۔مؤل: سوچ، سوٗنچ > پڑاکرت: سُچّہِ > س: شُچ)۔۱۔ وچار(کُنہِ کتھ) سَنُن۔ دِلس اَندر کانٛہہ خیال ہیوٗن تہٕ تَتھ وارٕ پأٹھۍ غور کرُن۔ کتھِ دَل (دِیُن)۔ (کُنہِ کتھِ) پھیُر۔ ۲۔ باش۔ تارٕتَم۔ بوزٕ شوژ۔ حساب۔

سوچ سَمجھ:-۱۔ بوزٕ شوژ۔ ۲۔ وُطیر۔ باش۔ تمیز۔

سوچُن:-(ن۔مؤل: سوچ > پڑاکرت: سُچّہِ > س: شُچ) وچار کرُن۔ وارٕ پأٹھۍ سَنُن (کتھِ یا مأملس بیترِ) غور کرُن۔ دأیرُن۔

سوختہٕ:-(مؤل: سوخت > ف: سوختہ)۔۱۔ دٔدمُت۔ ۲۔ خستہٕ۔ وُجارٕ۔ زٕنۍ ہرٕ اَڈٕ دٕز بناونہٕ۔ ژٕنہٕ مونگر بناوٕنۍ۔

سوختہٕ کرُن:-(کانٛدرکتھِ) زٕنۍ ہرٕ اَڈٕ دٕز بناوِنہٕ۔ ژِنہٕ مونگر بناوٕنۍ۔

سوختہٕ گژھنۍ:-تِمن تہٕ مُصیبتن ہِندۍ ژھوکھ لگٕنۍ۔ پرانٛۍ حأدثہٕ پیترٕنۍ تہٕ للہٕ وٕنۍ روزٕنۍ۔ جگرس کباب گوٚژھنۍ۔ تباہ حال گوٚژھُن۔ پریشانی گژھنۍ۔

سوختہٕ مُٹ:-سُہ بانہٕ یَتھ اندر کانٛدر ژٕنہٕ تہٕ اَڈٕ دٕدۍ جمع کران چھِ۔

سودا۱:-(ن۔مؤل: سودا > ف: سودا)۔۱۔ لین دین۔ تجارتھ بایار۔ ۲۔ تِم چیز یِمن ہُنٛد تجارتھ کرنہٕ ییہِ۔ کُنہٕ ہٕکۍ وِنہٕ ہٕکۍ چیز (یُتھٕ پأٹھۍ نوٗن تیل

کھنٛڈ بیترٕ)۔ ۳۔ ہبہٕ دِنٕس مُتلق طے گأمٕژ کتھ۔ ۴۔ لِفظ دادٕ۔

سودا کرُن:-۱۔ مُلۍ ہیوٗن۔ ۲۔ بادکرُن۔ نرخ مقرر کرُن۔ ۳۔ کِنتھ ژھنُن۔

سودا گژھُن:-۱۔ ہبہٕ کِننہٕ یُن۔ باوٕھر سپدُن۔ ۲۔ مأملہٕ اَنٛدٕ ن۔ نِیاے مکاوٗن۔

سودا میلُن:-دون برابری ہیٛنۍ (اورٕ یورٕ)۔

سودا۲:-(ن۔مؤل: سودا > ع: سودا)۔۱۔ اِنسأنی طٕبی یتہٕ کوٚژ وروسوباوٕ وأندرٕ اُکھ۔ ۲۔ جۄنٛوٗن۔ دیوانہٕ گی۔

سوداگر،سوداگار:-(مؤل: سوداگر > ف: سوداگرٕ) ۱۔ بایأری۔ چیز بیترٕ کِنٕن دِنٕن وول۔ ۲۔ سُہ ووٚنۍ یُس موٕ علاوٕ ہوگاڑٕ، کرمُٹھ تہٕ تھٕنٛۍ ژامَن بیترٕ کِنان آسہِ۔

سوداگری،سوداگاری:-(م۔مؤل: سوداگری)۔ ۱۔ بایار ۔۲۔ (ہزلہٕ) تِژھ کتھِ یا لین دِینٛس منٛز اَژُن یتھ نہٕ پَزٕ۔ دَرٕدَرٕ۔

سوداے:-(مؤل: سوداے > ف: سودائی > ع: سودا) موٚت۔ پاگل۔ دیوانہٕ۔

سودُن:-(ن۔مؤل: سود > س: شودھنہ) سوٗچتھ کُرتھ کُنہِ تِنٛجس پیٹھ واتُن۔ سوچُن۔ غور کرُن۔

سوڈَر:-(م۔مؤل: سوڈر > انگ: سوڈا Soda) پھُل۔ سَفید پھسکھ ہِش یوسہٕ شیٖرۍ چایہِ تژاوان چھِ۔

سوڈٕ :-(ن۔مؤل: سوڈ< انگ :سوڈا)۔اکھ قسمُچ پھکھ یوس شیشہ تہ صابن بیترِ بناونس لگان چھےٚ۔

سوڈاواٹر :-(ن۔مؤل: سوڈاواٹر< انگ: سوڈاواٹر Soda water) سوڈس پیٹھ تیار کرنہٕ آمژ اَکھ ترٛیش۔

سورا :-(ن۔مؤل: سور< پٔراکرت: سأز< س: سؤکر)۔ ا۔ خنزیر۔ اکس ڈرینٛدٕ سُند ناو۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) بد۔ یَس نہ رُت سوباو یا اخلاق آسہٕ۔ بد خصلتھ۔ کوذاتھ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) بدشکلہٕ یَس کھرٕ وِنی شکل آسہٕ۔

سورٕ بُتھ :- کو بُتھ۔ بد بُتھ۔ بدلحاظہٕ گی۔

سورٕ ژم :-(ورگہٕ) تَس مُتلق وَنان یَس اُڈز اُڈ یا بےٚ وُقری کرنہٕ ستؠ کچہ کچہ تہ گژھِ نہٕ۔

سورٕ شکل :- ا۔ بد شکل۔ بےٚ ڈول شکل۔ ۲۔ روسیأہی۔ گُنہِ اَتھ س بیترِ پیٹھ تِھس پھیوٚرمُت کرنہٕ بہنیار ہیوٚہ۔

سورٕ شکل گژھنی :-(گُنہِ اَتھ س بیترِ پیٹھ) روسیأہی گژھنی۔

سورٕ گی :- سورٕ سُند ہیوٚہ ورتاو بد ذأتل۔ کمینہٕ گی۔ اکس بیٚیس یذاہ دِنٕچ خصلتھ۔

سورٕ ماز :- ا۔ (ورگہٕ) حرام۔ یہ کھیوٚن جایز آسہٕ نہٕ۔ ۲۔ حرامُچ کمأے۔ ۳۔ حرام گُنہِ کینٛہہ۔

سورٕ :-(ن۔مؤل: سار< س: سار)۔ ا۔ دژس۔ سورٕے۔ سألم۔ ۲۔ پوشہٕ وُن۔ روزٕ وُن۔ ۳۔ وفادار۔

سور نیرُن :- ا۔ وفادار نیرُن۔ وفادأری کرٕنی۔ مَنز وَتہٕ نہٕ ترٛأوِتھ گژھن۔ ۲۔ پوشہٕ وُن آسُن۔ روزٕ وُن آسُن۔

سورُن :-(ن۔مؤل: سور<؟ س: سَمہرٛنہٕ)۔ ا۔ وارٕ وارٕ موکلن۔ ختم گژھن (بأگرِتھ بیترِ)۔ ۲۔ سخ میحنتھ بیترِ کرِتھ ژھوکُن۔ ہکتھ نہٕ روزٕنی تھکُن۔

سورٕ وُن :- ا۔ یہ ختم گژھنس تیار آسہٕ۔ یہ موکلنس تیار آسہٕ۔ لوسہٕ وُن۔ ۲۔ سورَن وِزِ ییمہٕ ساتہٕ موکلُن ہیٚیہٕ۔ ۳۔ مَرن وِزِ۔

سورُے :-(< س: سار+ایو)۔ پزتھ کینٛہہ۔ سُہ ہر کانٛہہ چیز تیٚچ ذِکر آسہٕ تمام۔

سورُے کینٛہہ :- وُچھو ''سورُے''۔

سوز :-(ن۔مؤل: سوز< ف: سوز)۔ ا۔ سازٕچ آواز۔ سازٕچ لَے۔ ۲۔ سۆزٕ ؤد۔ ساد۔ سُہ لُطف یُس ساز بوزِتھ یوان چھُ۔ موسیقی ہُند لُطف۔

سوز خأنی :- مرثیہ خأنی۔ مَرثی کرٕنی۔

سوزَن :-(م۔مؤل: سوزَن< ف: سوزَن)۔ ا۔ ہٕژَن۔ ۲۔ ٹوپہٕ کأم۔ سوزنہٕ کأم۔

سوزنہٕ ٹۆپی :- سو ٹۆپی یتھ ٹوپہٕ کأم گژھِتھ آسہٕ، اَتھ اَندر چھُ چھأوِ ہتس پَنٛس تہ کپرس ہیٚوٚے رَنگ آسان۔

سوزنہٕ کأم :- ٹوپہٕ کأم۔

سوزٕنی :- سُہ پَلو یتھ ہٕژَنہِ کأم یا ٹوپہٕ کأم گژھِتھ آسہٕ۔

سوزُن :-(ن۔مؤل: سوز) اکھ جایہِ پیٹھ بیٚیس جایہِ

روانہٕ کرُن۔ کُنہِ جایہِ واتناوُنہٕ یا پتھ کانٛسہِ اَتھِ دیُن یا حوالہٕ کرُن۔

سوژَن۔سوژَن:۔(م۔مؤل: سوژن)۔گاسہٕ کُرٛٹ یوسہٕ اَندرٕ کِنۍ کھوٗکھرٕ آسہِ۔

سوژنہٕ تِل:۔کھوٗکھر گاسہٕ کُرٛٹ یوسہٕ یِنْدرٕ تِلس کھاران چھےٚ تہٕ یتھ پٮ۪ٹھ کون وَلان چھےٚ۔

سوسَن:۔(ن۔مؤل: سوسَن <ع: سوسَن) مزار مونجہِ ہُنٛد پوش۔اَکھ پوشک ناو۔

سوسَن گُلنی:۔بِل گُلےٚ نَتہٕ گرٛوٚٹھن۔

سوسَن نیٖرٕنی:۔۱۔مزار پوش پھوٚلنی۔۲۔(ورگہٕ) مؤدی ہٕتِس واریاہ کال گوٗمُت آسُن۔

سوسنی:۔سوسَن پوشہِ رَنٛگہٕ۔یتھ رَنٛگ سوسَن پوشس آسان چھُ۔

سوسُن:۔(ن۔مؤل: سوسن <ع: سوسن)۔ہٕتھس نچر پھیرُن۔(فِکر، غمہٕ یا خوفہٕ ستی)۔

سوفہٕ:۔(ن۔مؤل: سوف <انگ: سوفا Sofa)۔اَکھ خاص قسمُک سپرنٛگ دار کُرسی۔

سول:۔(ن۔مؤل: سول <اَنگ۔سول Sole) پٲزارُک پار۔تلہٕ پوٚد۔

سون:۔(مؤل سان <س: اَسمان)۔تہنٛدیم وَنان آسُن۔ وَنَن وٲلی ہِنٛد بن ہُنٛد یا وَنَن والین ہُنٛد۔

سوئنتھ:۔(ن۔مؤل: سوئنت <س: وَسَنتہٕ)۔۱۔بہار۔ وَنٛدٕ پتہٕ یُس مؤسم یِوان چھُ۔ وَنٛدس تہٕ ریتہٕ کالَس درمیانٛک مؤسم۔ سُہ مؤسم یتھ اَندر کُلَن بیترِ نچر پھیران چھُ۔ پھُلیہِ وَق۔ ژِترُن تہٕ وَہکُن ریتھ۔۲۔ژِترِ زوٗنہٕ پَچھ اوک دوہ، یہٕ چھُ اَکھ بوڑ دوہ۔۳۔(ورگہٕ پٲٹھی) جوانی یاوُن۔

سوئنتہٕ بوگ:۔توٗھہٕ بیترِ یُس نوشہِ سوئنتس پٮ۪ٹھ سوزان چھےٚ۔ یہِ سوئنتہٕ یِنس پٮ۪ٹھ کورِ مول گوٗبرٕ مٲلِس سوزِ۔

سوئنتہٕ پوش:۔سوئنتھ کالہٕ نیٖرٕ وِنی پوش۔

سوئنتہٕ پھَل:۔فَصل بیترِ یُس سوئنتس اَندر ووپدان چھُ، تِلہٕ گوگل تہٕ کنٛکھ بیترِ۔

سوئنتہٕ پھُلےٚ:۔پوش یِم کُلَن بیترِ سوئنتس اَندر نیٖران چھےٚ۔

سوئنتہٕ ترٛے:۔سوئنٛچ ترٛیم، یہِ چھُ اَکھ بوڑ دوہ۔

سوئنتہٕ ژایوٚ وارِ کو گُر تہٕ ہَردِ کوٚر ہَس ہش:۔ تہٕ دِیتھ گو سبٹھاہ نوقصان تُلِتھ تہٕ نہٕ وَقتس پٮ۪ٹھ ہراسہٕ کرُن۔سَخ لاپرواہی۔

سوئنتہٕ سُلی:۔(ہزلہٕ) وَقتہٕ ڈُلِتھ (ژیٖرِ واتنس پٮ۪ٹھ وَتنہٕ یِوان)۔

سوئنتہٕ سُلی واتُن:۔(ہزلہٕ) سبٹھاہ ژیٖرِ یُن۔

سوئنتہٕ مَد:۔سوئنتھ کالَس اَندر مٲدان ترٲوِی ہتِن چاروایَن ہنٛز ٹھولہٕ ٹھول۔

سوئنتہٕ ماوَس:۔سوئنٛچ ماوَس، یہِ چھُ اَکھ بوڑ دوہ۔

سوئنتہٕ ووٗنی:۔آب یُس کولَن بیترِ سوئنتس اَندر کھسان چھُ۔ نوشینٛگ آب یُس اَژوٕنہِ سوئنتہٕ

کولَن منٛز وَسان چھُہ۔

سوٗنتھ چھاوُن:- سوٗنتُک لُطف تُلُن۔ سوٗنتھ کالس منٛز پھیرُن تھورُن۔ سوٗنتہِ پھلے چھاوِ نی۔ مِ: سوٗنتھ چھاونہٕ بالہٕ یارو نیر۔

سوٗنتھ کال:- سوٗنتُک وَق۔ موسمِ بہار۔

سوٗنتھ یُن:- ا۔ وَنہٕ گرٛھتھ سوٗنتُک موٗسم واتُن۔ گُلبن بیترِ نچر پھیرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) جوانی ترٛی۔ یاوُن یُن۔

سونڈئی، سوزٕنی:-(م۔ موٗل: سونڈی <ہ: سادھنی <س: سادھنی)۔ کھوٗرٕ ہٹ (چھانس یاڈسٕ رلہٕ سنٛز)۔

سوٗنڈر (دود):-(موٗل: سانڈر <؟)۔ ا۔ سَدٕ بیاوَل گاوٕ ہُند دود۔ ۲۔ بی دود۔ ۳۔ کانٛجہٕ گوٗمت دود۔

سوٗنگل:- اکھ لکرِ قسم۔ بُڈٕل زیٚن۔

سوو:-(ن۔ موٗل: ساد <پرٛاکرت: ساہہٕ <ویدک س: سادھ)۔ ا۔ خوش حال۔ پاپر جا۔ بجا۔ مِ: دیاِ سوو۔ سونہٕ سوو۔ ۲۔ بوٚ رُت۔ مایہٕ دار۔ مِ: لاٗو بود ساٗو۔

سوہوٗکار:-(ن۔ موٗل: سوہوٗکار <ہ: ساہوٗکار)۔ لابُر۔ سوٗدُر۔ صراف۔

سوا:-(<س: سا)۔ کانٛسہٕ زَنانہٕ کُن اِشارٕ پٔرُھی وَنان۔ یمیٚ سُند ذِکرِ چلان آسہِ تہٕ یوسہٕ نہٕ بروٚنٛہہ کنہٕ آسہِ۔

ہ۔ سو ۲:-(<س: سہٕ)۔ اَکھ بروٚنٛہہ لوٗگ۔ مِ: سو دَرشن۔ سوٗرٕ پھ۔ رُت ٹھیکھ۔ جان۔

سو باو:-(ن۔ موٗل: سوباو <س: سوٗبھاو)۔ ا۔ پرٛکرتھ۔ خصلتھ۔ خُمیر۔ ۲۔ عادَتھ۔ وؠتھن پہن۔

سوبوٗد، سوبوٗد:-(م۔ موٗل: سوبوٗد <س: سہٕ+بُدھ) گاٹل۔ سَمجدار۔ عقلہٕ وول۔ تیز فہم۔ یُس ژٕلی کتھ فکرٕ ترٕ۔ بوٚ زوان۔ بوٚ زوول۔

سوبود، سُبود:-(م۔ موٗل: سوبود <س: سہٕ+بُدھ) ا۔ رٕتُس کُن لُچھ عقیل۔ ۲۔ ژٕوتر یہ۔ گاٹہٕ جار۔ تیز فہمی۔ سَمجداری۔ ژٕلی ژٕلی کتھ فِکرِ ترٕنی۔

سو پاتھر:-(موٗل: سوپاتھر <س: سہٕ+اپاتر)۔ سو پوٗت۔ یُس ناو نچھناوِ۔ شٔریف۔ یُس نہٕ ماٗلِس مَنٛز چھاو۔ برخوردار۔

سوپوٗت:-(ن۔ موٗل: سوپوٗت <س: سہٕ+پوترٕ)۔ اولاد یُس ماٗلِس ماجہِ ہُنٛد ناو نچھ ناوِ۔ رُت اَولاد۔ اولادِ صالح۔

سوپھَل:-(موٗل: سوپھَل <س: سہٕ+پھلہٕ)۔ یَتھ جان پھَل تیرِ۔ کامیاب۔ فأید مَنٛد۔ یَتھ سبتھاہ جان نتیجہٕ آسہِ۔ یہٕ یا یُس بوٚٹھ کھسہِ۔ مِ: میحنتھ گیہٕ سوپھَل۔ وُچھو سپھَل تہٕ۔

سودِلہٕ:-(<س: سہٕ+ف: دِل)۔ خوشی سان۔ مرضی سان۔

سو دوہ:-(<س: سہٕ+دِوَس)۔ ا۔ رُت دوہ۔ یمہِ دوہہ پرٛز۔ ۲۔ موقس پیٹھ۔ عانِ وقس پیٹھ۔ ۳۔ بوٚڈ دوہ جان دوہ۔ یمہِ دوہہ ووٗرُس بیترِ آسہِ۔ ۴۔ رٕژوار یا دوہ یمہِ دوہہ ماتم پُرسی

جأیِز چھے۔

سوذاتھ:-(ن۔مؤل: سوذات <س: سُجاتہَ)۔
ا۔جان یا کھُستھ ذاتھ۔٢۔کھُستھ ذأژ ہُنٛد
خاندأنی۔٣۔شریف۔کھُری پھِ یارٕ ذیلہٕ نہٕ۔

سوشیِل:-(م۔مؤل: سوکتھ <س: سُہ+کتھا) خوش
کلأمی۔رٕژ کتھ۔کتھ یموٚستۍ انسان شادسپدِ۔
غم وفأیی ہنٛز کتھ۔م: کوکتھ۔

سوگتھ:-(م۔مؤل: سوگتھ <س: سُہ+گتھا)۔
خوش کلأمی۔رٕژ گتھ۔گتھ یموٚستۍ انسان شاد
سپدِ۔غم دفأیی ہنٛز گتھ۔م: کوگتھ۔

سوکرٕم:-(ن۔مؤل: سوکرم <س: سُہ+کرمہَ)۔
جان کأم۔نیکی۔رٕتۍ کار۔م: کوکرٕم۔

سوکرتگ پأنسہٕ:-حلالچ کمأے۔

سوکرتھ:-(<س: سُہ+کرِتہِ)۔رٕژ عمل۔

سوکار، سَکار:-آنکار۔اقرار(خاص کرِتھ کھاندرٕ باپتھ)۔

سولکھن:-(مؤل: سولکھن <س: سُہ+لکشنہَ)۔
ا۔رُت نشانہٕ۔رُت صفتھ رٕتۍ کیرن۔٢۔رُت
شوٚگوٗن۔

سومَنہٕ:-(<س: سُمَنہ) پۭژ دِلہٕ۔شوٚدِمَنہٕ۔رٕتہٕ مَنہٕ۔

سوناو:-(مؤل: سوناو <س: سُہ+نامہَ)۔ا۔یُس پَتھ
خودایہٕ سُنٛد کرم آسہٕ، سُہ یُس واریاہو کورۍ پتہٕ
کُہی تام خوداین نچُو بخشُمت آسہٕ۔٢۔جان ناو
سوٚت۔ناوہیوٚن لایق۔

سوواسَن:-(م۔مؤل: سوواسن <س: سُہ+واسنا)۔
رُت خیال۔رٕژ کل۔رٕژنیتھ۔

سووِز:-(<س: سُہ+ویلا)۔رُت وَق۔بیلہٕ شوٚبہٕ تیلہٕ۔

سو٢:-(<س: سوٚ)۔پَنُن۔م: سورُوپ۔سوپرٕکاش۔

سوتنٛتر:-(مؤل: سوتنتر <س: سوٚتنتر) آزاد۔
پانے پنُن مأ لِکھ۔

سودَرٕم:-(ن۔مؤل: سودَرم <س: سوٚدھرمہَ)۔
پنُن دَرٕم۔سوباو۔کُنہِ ذأتی خأصیتھ۔

سوراج:-(ن۔مؤل: سوراج <س: سوٚراجیہٗ)۔
پنٕنۍ حکومتھ۔عوأمی راج۔

سوژھنٛد:-(مؤل: سوژھند <س: سوٚچھنٛد)۔
ا۔سُہ یُس پانہٕ اختیأری آسہٕ۔پانہٕ خوٚدی۔
٢۔(شیوٕ دَرشنس منٛز)شوٚسُنٛد ناو۔

سووِچار:-(ن۔مؤل: سووِچار <س: سُہ+وِچار)
پنٕنہٕ پانچ زان۔

سواد:-(مؤل: سواد <س: سَپادَ)۔اَکھ بتہٕ ژوباگ۔
اَکھ بتہٕ بیٚنہٕ تمیُک ژوٗرِم حصہٕ۔

سوبَدرا:-(م۔مؤل: سوبدرا <س: سُبھدرا)۔کرِشن جی
ہنٛز بیٚنہٕ یوس ارجُنس باگنٛز اُس آمٕژ۔مہابھارتُک
اَکھ کردار۔

سوتُن:-(ن۔مؤل: سوت <س: سوٚپ)۔ہمَن۔سوتپزی
یاتیٚہ نہٕ روزِنی۔ژھوکُن۔سِتھ تھکُن۔لوسُن۔

سوتھ:-(م۔مؤل: سوت <پراکرت: سُتَتہِ <س:

سُپتہٕ)۔ گوٚب نیٚندٕر۔

سوتہٕ ساٚو:۔ (تھٔکِتھ لۄسِتھ) گوٚب نیٚندٕر۔ نبر۔ بتہٕ دٕنچ نیٚندٕر۔

سوتہٕ ساٚوپیٚنی:۔ تھٔکِتھ لۄسِتھ گوٚب نیٚندٕر پیٚنی۔ نبر پیٚنی۔

سوتھ پیٚنی:۔ گوٚب نیٚندٕر پیٚنی۔ خوفتہٕ پیوٚن۔

سوٗتھنی پلُھچ:۔ گاڈہٕنز پوتلہٕ چہٕ پکھہٕ۔

سوٗڈھکھ:۔ (ن۔ مۄل: سوٗڈھک <س: سپھاٹِکہ)۔ اُکھ موٗلِج کٔنی۔ سَنگِ بلور۔

سوٗڈھکہٕ وونی:۔ سَفید آب۔ چھرٕ وونی۔

سوٗجر:۔ (ن۔ مۄل: سوٗجر <س: سَر گھَ) سرٕ وٕجر۔ سرٕوگ آسُن۔ باونہٕ تیز آسُن۔

سوٗچھ:۔ (ن۔ مۄل: سوٗچھ <س: سُبھکشہ)۔ ا۔ سوکال۔ ییٚلہِ پرٕتھ چیز سولبہٕ تہٕ ووٚفوٗر آسہِ۔ ۲۔ ییٚہ چھ ہزلہٕ پاٗٹھی تمہِ وِزِتہٕ ونان ییٚلہِ کانٛہہ خاٚرٕ بدلہٕ شُرکرِ۔ (ہزلہٕ پاٗٹھی) کانٛہہ بڈٕ مہربانی۔ ۳۔ غار۔ جانٛی۔ نیکی۔ مِ: او! سوٗچھ کوٚرنم۔

سوٗچھ کرُن:۔ ا۔ بڈٕ مہربانی کرٕنی۔ (ہزلہٕ پاٗٹھی) کینٛہہ نہٕ کرنہٕ کِنی ارمان تھوٗن۔

سوٗخن:۔ (ن۔ مۄل: سوٗخن <ف: سخُن)۔ ا۔ کتھ۔ کتھ باتھ۔ ۲۔ (شاعرس بیترٕ سُند) کلام۔

سود، سودٕ:۔ (مۄل: سود <س: شُددھ) شُر بیترٕی۔ س اندر نہٕ کھٔری پھہٕ گی آسہِ۔ ژھوٚپ۔

سود بود:۔ (<س: سُہ + دہی + بُدھ دِھ، مُ۔ ہ: سُدھ بُدھ)۔ شۄعۄر۔ تمیز۔ حِس ہوش۔

سودَرشن:۔ (ن۔ مۄل: سودَرشن <س: سُدَرشنہ)۔ نارائن سُند اکھ ناو۔

سودَرشنہٕ مٔیل:۔ رُت دِپدار۔ خودلہٕ سُند دِپدار بٔن۔

سودام:۔ (ن۔ مۄل: سودام <س: سُدامہ)۔ بگوان کرشنہٕ سُندس اکِس بالہٕ یارٕ سُند ناو۔ سودام ژرتگ اکھ کردار۔

سورا:۔ (ن۔ مۄل: سور <س: سوٗر)۔ ا۔ آواز۔ (ییٚتھٕ پاٗٹھی گبونچ) تال۔ مۄسیقی ہنٛز کھسہٕ وَس۔ ۲۔ کژکھ۔ چکھ۔ صدا۔ ۳۔ اوزٕ اہتحر۔

سور پھٔرُن:۔ گبونچ لَے بدلاوٕنی۔

سور دیُن:۔ گبونٛس اَندٕ رساز بیترٕ وایُن۔

سور۲:۔ (ن۔ مۄل: سور <س: سَر)۔ ا۔ حرکتھ۔ گُنہٕ تان بیترٕ گرٕ ہہٕ زیرٕ۔ ۲۔ جنسی خاٚہشہٕ کِنی مخصوٗص تانٛن پھیٚو رمُت حِس۔ ۳۔ حِس۔ ہوش۔

سورَس پیوٚن:۔ ا۔ حِسس پیوٚن۔ ظوٗنس واتُن۔ پانس پیوٚن۔ ہوش سَنبالُن۔ ۲۔ پنٛنس حالس واتُن۔

سورٕ پھٔرُن:۔ ا۔ حِسہٕ پھٔرُن۔ حرکتھ کرناوُن۔ ۲۔ گُنہٕ گن ظوٗن دیُن۔

سورٕ پھیرُن:۔ حِس یُن۔ گُنہٕ تانٛس بیترٕ حرکتھ ہِش گرٕ ہنی ییٚنی۔

سوردیُن:۔ حِس دیُن۔ زیرٕ دِنی۔ ژمنہٕ وَن دِنی۔

سورڈٕلُن:۔ حِس راوُن۔ حال ہوش نہٕ روزُن۔

سوررۄزُن:- پۄرٕ خیال روزُن۔ حِس روزُن۔ گُنہٕ کُن مَغز روزٕنۍ۔

سورسور:- ترٛٹہ حرکَتھ۔ یِمہٕ سَتۍ زِنٛدٕ آسنک باس یِیہِ۔

سورسور گرُھن:- وارٕ وارٕ گُنہٕ تانَس حرکتھ گژھٕنۍ۔ کانٛہہ تان وارٕ وارٕ ہِلاونہٕ یِن۔ گُنہٕ تانَس وارٕ وارٕ زِپر گژھٕنۍ۔

سور کرُن:-۱۔ حرکتھ کرٕنۍ۔ گُنہٕ تانَس زِپر کرٕنۍ۔ ۲۔ حِس ہوش برابر تھٲوٕنۍ۔ بے حِس نہٕ لاگُن۔ ہوش کرُن۔ خبردار روزُن۔ خیال تھاوُن۔ دِیان دیُن۔ م: ہَر دہَر کر ہرووِ سور کر۔

سور گرُھن:-۱۔ حِس پھیرُن۔ حرکَتھ ہش گژھٕنۍ۔ ۲۔ جنسی خاہشہٕ کِنۍ مخصوص تانَس حِس پھیرُن۔

سورٕ۳:-(ن۔ مؤل: سور > س: سَمرٔ)۔۱۔ یاداش یا دووتر ژِتھ۔۲۔ حِس۔

سوٕر پھرُن:- یاد پاوَن۔ ژِتَس پاوُن۔

سوٕر پھیرُن:- یاد روزُن ہیوٚن۔

سوٕر موٚت:- پننہٕ نَس پوٚس خبردار۔ بکارٕ خود ہُشیار۔

سورٕ۴:-(ن۔ مؤل: سور > س: سُرَ)۔ دِوتا۔

سوٕرمۍ ۱:-۱۔ کِنٛکھ یُس رٕے گژھنہٕ کِنۍ کزٕ یہنیوٚ مُت آسہِ۔۲۔ کُنٛچ اَکھ بِماری۔

سوٕرمۍ ۲:-(> ف: سَرمَئ)۔ سورمٔلی۔ سورمہٕ رَنگہٕ۔

سوٗرُن:-(ن۔ مؤل: سور > س: سَمَرنَ)۔۱۔ یاد پاوُن۔ ژِتَس پاوُن۔۲۔ کل تھٲوٕنۍ۔ فکرٕ تھٲوٕنۍ۔ م: اُخرت سوٗرُن۔ گُنہٕ باپتھ تیٲری تھٲوٕنۍ۔ گُنہٕ کامہٕ ہُنٛد یا کُنٛہِک خیال تھاوُن۔ م: وَنٛدٕ سوٗرُن۔

سوٚرِتھ ہیُن:- کانٛہہ چیز یاد پیٹھ فکرن لَگُن۔ فکرٕ لگٕنۍ۔

سوٚرِتھ پکُن:- احتیاطہٕ سان کانٛہہ کٲم کرٕنۍ۔ سوٗچ سوٗچ کانٛہہ کٲم اَتھَس اَندر ہینۍ۔

سوٚرِتھ تھاوُن:-۱۔ اَنٛجرَس بیترِ کٔیت سوٚمبرِتھ تھاوُن۔ ۲۔ پانَس سوٚمب یا پننہٕ نَس گُذارَس سوٚمب سوٚمبرِتھ تھاوُن۔

سوٚرَتھ روزُن:- احتیاط کرُن۔ حِسہٕ روزُن۔

سوٚرِ نَنہٕ پیوٚن:-۱۔ سوچُن۔ غور کرُن۔ فکرَن لگُن۔۲۔ ظونَس واتُن۔۳۔ پالِس پیوٚن۔ پانَس واتُن۔

سورنَس پیوٚن:-۱۔ یاد پیوٚن۔۲۔ سوچنہٕ ہیُن۔ فکرن لگُن۔

سورخ:-(مؤل: سورخ > ف: سُرخ) وۄزُل۔ وۄزلہٕ رَنگہٕ

سورخۍ:-۱۔ وۄزٕ جار۔۲۔ کِتابہٕ یا اخبارٕ بیترِ چ سۄ عبارَتھ یُسہٕ پیٹھ کنہِ موٹین حرفَن اَندر لیکھنہٕ یِیہِ۔ مضموٗنہٕ بیترِ ہُنٛد عنوان۔

سورخوٗن:- شوخ کاژُر رَنگ۔

سورزَن اوٚک دوہ:- پھاگُن زٕنہٕ پچھُک گوڈنیُک دوہ۔ یِمہِ دوہہٕ ہیرِتھ موکلان چھےٚ۔

سورزَن ماوَس:- ہیرِ ژہٕنز ماوَس۔ پھاگُن گٹہٕ پچھ

کاش ہُند دوہ۔

سورشاوُن:۔سورشُن۔ چھلُن۔ پاں گڑاے کڈُنۍ۔ چھوکہٕ ڈُن۔

سورشُن:۔(مؤل: سورش <س: سپرٛ شنہ) (اَتھ کھور بیترٕ) چھلُن، آبہٕ سۭتۍ صاف کرُن۔ پاں گڑاے کڈُنۍ۔ چھوکھ کڈُن۔

سورگ:۔(ن۔مؤل: سورگ <س: سؤرگہ)۔ ا۔جنتھ۔۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھۍ) سوکھ۔آرام۔ آسائش۔۳۔ (ورگہٕ) سوجاے ییٚتہٕ آرام تہٕ آسائش واتہٕ۔

سورگاپۄری:۔سورگ۔مِ:مانزآیہ سورگاپۄری یے۔

سورگہٕ بۄنۍ:۔ا۔زنانہٕ یوسہٕ زُر بن پتُر بن خوش تہٕ خوش حال پاٗٹھۍ تھوِ۔۲۔سو زنانہٕ یوسہٕ سبٹھاہ جان تہٕ رژ آسہٕ۔ جنتچ دبد۔۳۔ زنانہٕ یَس شُر بن ہندِ ذٕسۍ سبٹھاہ آرام آسہٕ۔

سورگہٕ دٕوار:۔جنتک دَرواز۔ پاپَر جاےٚ تہٕ خوش حاےٚ ہنز وتھ۔آرامچ تہٕ آسائشہٕ ہنز جاے۔

سورگہٕ لۄک:۔ا۔سورگ۔جنتھ۔۲۔سوجاے ییٚتہٕ پزتھ کانٛسہٕ آرام آسہٕ۔ییٚتہٕ نہٕ غم تہٕ تفریق آسُن۔

سورگہٕ واس:۔ا۔ مۄدمُت۔مرحوم۔ جنتۍ۔ ۲۔(ہزلہٕ) یُس نہٕ ییٚمہٕ عالمہٕ آسہٕ چور۔فاتر۔

سورگہٕ واس گژھن:۔مرُن۔ پران تراوِنۍ۔دُنۍ یا تراٗوِتھ گژھن۔

سورگہٕ واٗسۍ:۔ا۔یُسند آتما سورگس آسہٕ وۄتمت تہٕ ذِ پتھ گوٚیُس مۄدمُت آسہٕ، ییٚمۍ پژان تراٗوِ زِ متۍ آسُن۔ جنتۍ۔جنتھ گار۔۲۔(ہزلہٕ پاٗٹھۍ) سُہ یَس نہٕ دُنۍ ہیچ کانہہ خبر آسہٕ۔روومُت ہیوٗہ۔رۆبۄد۔

سورگی:۔(<س: سؤرگی)۔ا۔جنتۍ۔جنتھ گار۔(یہ چھہٕ مۄدِ متِس وَنان)۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) نیک۔ پرہیزگار۔

سورمہٕ:۔(ن۔مؤل: سورم<ف: سُرمہٕ)۔ا۔اکہٕ قسمچ کرٛہنز پھکبھ یوسہٕ اَچھن لاگان چھہٕ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) پۄر پۄرٕ۔نیٚک نیٚک۔ ۳۔کنکچ اکھ بمارۍ یتھ اندر کنکہٕ کُلس کاوِتھ پھلبن کرٛہنۍ پھکبھ ہش گوھان چھےٚ۔

سورمہٕ تج:۔زاٗوِج سَنہٕ یا کاٗنۍ بیترٕ ییٚمہٕ سۭتۍ اَچھن سورمہٕ لاگان چھہٕ۔

سورمہٕ تُل:۔بُڈ پٔہن سورمہٕ تج۔

سورمہٕ تکۍ ڈاٗلنۍ:۔تجہٕ سۭتۍ اَچھن سورمہٕ لاگُن۔

سورمہٕ ٹاٗرۍ:۔ا۔اَچھ ٹاٗرۍ یمن سورمہٕ لاگتھ آسہٕ۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) خوش یونہٕ اَچھ۔

سورمہٕ داٗنۍ:۔لوکٹ ڈٕبہٕ یا گوژ ریتھ اندر سورمہٕ تھوان چھہٕ۔سورمہٕ سرٕ نٹڈۍ۔

سورمہٕ سرٕ نٹڈۍ:۔روپہٕ سُند بیترٕ ٹھوٗلہٕ چالہٕ ڈٕبہٕ ہیوٗہ یتھ اَنٛدر سورمہٕ تھوان چھہٕ۔اکہٕ قسمچ سورمہٕ داٗنۍ۔

سورمہٕ کرُن:۔پۄرٕ کرُن۔ پھکبھ ہش کرٕنۍ۔

ؤُرگتھ مہینہٕ کرُن۔ بڑٕ وُس کرُن۔

سورمہٕ لُٹھی:۔سورمہٕ تُجہٕ سٍتیٖ اَچھ پرٕ اُنٛتھس نہبر تام تراونہٕ آمٕژ رِکھ ہش۔ اَچھ ہند بن نیٖبر مٕنٛز کوٗنَن تراونہٕ آمٕژ سورمہٕ رِکھ۔

سورمُلی:۔سورمہٕ رَنٛگہٕ۔یُتھ رَنٛگ سورمَس آسان چھُ۔ گوٗٹ نیٖوُل رَنٛگ۔

سورماے:۔سورمُلی سورمہٕ رَنٛگہٕ۔یُتھ رَنٛگ سورمَس آسان چھُ۔

سورنَے:۔(م۔موٗل: سورنَے <س: سوٗر+نَے۔ف: نَے) اَکھ ساز۔اکہِ قسمُچ نَے۔

سورہال:۔(م۔موٗل: سورہال <ژول ہال ،لفظُک بِگار<س: چلہٕ+ شالا)۔سولہار۔دانہٕ پارٕ۔ سوجاے یتِہٕ رَنہٕ پاکونہٕ یوان چھُ۔

سوزاکھ:۔(ن۔موٗل: سوزاک <ف: سوزاک)۔ اکہِ بمارِہُنٛد ناو۔اَتھ اَندر چھُ پیشاب نالہِ کِنۍ پاکھ پشپان تہٕ تِتھر چھُ قطرٕ قطرٕ پکان۔

سوزٕہری:۔(م۔موٗل: سوزہری)۔ا۔اکہِ قسمُک گیرٕ دار ٹھیلہٕ یمیُک گوٗل ڈورِ سٍتیٖ وَٹنہٕ یوان چھُ۔۲۔گوژر۔

سوزٕہار:۔گوژر۔۲۔ژُکوٗنجل گوژر یتھ اَنٛدر سورمہٕ بیٚترِ تھوان چھِ۔وَجود سورمہٕ داٗنۍ۔

سوژَر:۔(ن۔موٗل: سوژَر <س: سُپتہٕ)۔سوٚت آسُن۔ گٔشر۔

سوژَل:۔(م۔موٗل: سوژَل <س: سوٚر چلا)۔ اَکھ وُہنٛز سبزی(یہٕ چھےٚ رَنہٕ یوان)۔

سوژَل مِتھتھ اَژُن:۔گاٹہٕ گژھُن۔تژوٹ پیوٚن۔ کارٕ بارس بیٚترِ منٛز نوقصان گژھُن۔

سوژَلہٕ پوٗش ہیوٚہ گژھُن:۔زَردُن۔کمزور گژھُن۔

سوٗژٕنی تُل:۔کھوکھر گاسہِ کرٕٹ یوسہٕ یٔندرٕ تلس کھاران چھِ تہٕ یتھ پٹھ کون ولان چھِ۔

سوسرارَے:۔سورسور گژھنٕچ آواز۔کانٛہہ چیز الٕہِنٛچ آواز۔

سوٚسُر:۔(ن۔موٗل: سوٚسَر)۔ا۔کیوٚم لگنہٕ کِنۍ ژامُت دوٚدُر۔ اَنٛدرٕ اَنٛدری دوٚدرَنٛچ حالتھ۔
۲۔(گرس بیٚترِ اَندر) اَنٛدرٕ اَنٛدری اَکھ اَکس خِلاف خارٕ خارٕ یا فساد۔ پھاس۔

سوٚسَر لود:۔خراب گامتہِ یا دوٚدر یمتہِ اَناجُک ڈیر۔

سوٚسَر ہیمہٕ:۔سوٚسُر لگنہٕ سٍتیٖ کُلس بیٚترِ اَنٛدرٕ گامٕژ پھٹہٕ۔

سوٚسری لَد:۔یتھ سوٚسُر ژامُت آسہِ۔ یہٕ اَنٛدرٕ اَنٛدری دوٚدر یومُت آسہِ۔

سوٚسَر اَژُن:۔ا۔اَنٛدرٕ اَنٛدری دوٚدرُن۔دوٚدُر اَژُن۔
۲۔ اَناجَس یا موٚس بیٚترِ کیوٚم پیٚنہٕ کِنۍ سوٚر گژھُن۔۳۔(ورگہٕ پاٗٹھی)(دوٚکھوٚ دادیوٚ کِنۍ) اَنٛدرٕ اَنٛدری فان گژھُن۔۴۔(ورگہٕ پاٗٹھی) گرس بیٚترِ اَندر اَنٛدرٕ اَنٛدری فسادس گوٚڑٕ لگُن پھاس پیوٚن۔

سوٗسُر لگُن :- وُچھو "سوٗسُر اَژُن"۔

سوستہِ بُدر :- اَکھ خاص پاٹھ یُس یِژٕ پأٹھۍ ہوٚنہٕ بروٚنٛہہ پران چھہِ۔ اُہی کرنک پاٹھ۔

سوسرُن :- (ن۔ موٗل: سوسر)۔ ۱۔ اٚنٛدرۍ اٚنٛدرۍ دوددُرن۔ ۲۔ اٚنٛدرۍ اٚنٛدرۍ غمہٕ ستۍ گلُن۔

سوکال :- (ن۔ موٗل: سوکال < س: سُکالہ)۔ ۱۔ سُہ وق ییٚلہِ ہر کانٛہہ چیز وٚفوٗر آسہِ۔ سرٛ وجر۔ سولبہٕ گۍ ہُنٛد وَق۔ ۲۔ خوشحاأی ہُنٛد وَق۔ پاپر جاأی ہُنٛد زمانہٕ۔

سوکاٹھ :- ۱۔ ییٚلہِ سرٛ وجر تہٕ سولبہٕ گۍ آسہِ۔ سوزٕ ییٚلہِ نایأبی آسہِ۔ سوچھِ کہ وقتہٕ۔ ۲۔ رٕژوزٕ وأتتھ۔

سوکول :- (ن۔ موٗل: سوکال)۔ اَکھ داں ذاتھ۔ اَتھ چھُ ہیوٗل ووز جارٕ سان آسان۔

سوکرُن :- (ن۔ موٗل: سوکر < س: سُمّی کرمہ) پھوٚنٛٹھ زمین بیترِ وأتتھ سوٗ مراوُن۔ سوٗم کرُن۔ سوٗتر کرُن۔ سوٗتراوُن۔ زمینس تھزر یا دوب بیترِ دوٗر کرٕنۍ۔

سوکھ :- (ن۔ موٗل: سوکھ < س: سُکھ)۔ آرام۔ آسائش۔ راحتھ۔ پاپر جاأی۔ بجاأی۔

سوکھن ڈِس گرٛژھنۍ :- ژوٗر سوکھ آسنہٕ کِنۍ گُڈارِ گبوٗنہٕ۔ ٹھٹھہٕ مسخری کرٕنۍ۔

سوکھ سان :- ۱۔ وارٕ کارٕ۔ خوش پأٹھۍ۔ خوش تہٕ خوش حال۔ کُنہِ اذاہ تہٕ تکلیفہٕ ورأے۔ اَرٛسرٕ کرنہٕ ورأے۔

۲۔ (ورگہ) نوت پأٹھۍ۔ رَسے۔ رَسہٕ پأٹھۍ۔

سوکھہٕ موکھ :- ہنگتہٕ منگہٕ۔ اَچانکن۔ وارٕ کارٕ اَستھ گرٛہیوٚہ دِیُن۔

سوکھ ہانٛڈ :- اَستھ گرِتھ اَپرٛے دِیُن۔ ۲۔ جتنہٕ یا کوٗشش یوٚسہٕ بجاأی تہٕ خوشحاأی بأپتھ کرنہٕ ییہِ۔ خوٚشی حاصِل کرنہٕ بأپتھ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کرُن۔ خوش روزنہٕ بأپتھ جتنہٕ کرٕنۍ۔

سوکھ برُن :- راحتھ تُلُن۔ آسائش تُلنۍ غم یا فکر نہٕ آسنۍ۔ کُنہِ قسمٕچ نہٕ پریشأنی آسنۍ۔

سوکھ دِیُن :- آسأیشہٕ سان اَکِس جایہِ قرار کرنہٕ دِیُن۔ دِق یا تفریق نہٕ تُلُن۔

سوساوے :- خوشحاأی۔ پرٛپاجاأی۔

سوکھ سَرُن ، سوکھ سَرٛ :- شأدی یا نہٕ بیترِ یُس یِژٕ پأٹھۍ نیچوٚ بیترِ زنٛس پیٹھ کرنہٕ یوان چھہ۔ گرس اَندرٕ کُنہِ قسمٕچ شأدی۔

سوکھ نہٕ دِیُن :- اَکِس جایہِ نہٕ قرار دِیُن۔ دِق تہٕ تفریق ووتھُن۔ آسأیشہٕ سان نہٕ بیہنس وارِیُن۔

سوکھالہٕ :- (کأم بیترِ) یتھ نہٕ زیادٕ فتر تھ ییہِ۔ یہِ سہَل آسہِ۔ یتھ نہٕ دِقتھ ییہِ۔

سوکھہٕ بوٗل :- (موٗل: سوکھ بل < س: سُکھ + اُدبھر) اَڈٕ وُشُن۔ شیر گرم، نہٕ زیادٕ توت نہٕ زیادٕ ترُن (آب بیترِ)۔ سوکھ وُشُن۔

سوکھ وُشُن :- وُچھو "سوکھ بوٗل"

سوکھ داس:-(ن۔مؤل: سوکھ داس )۔ا کھ داس ذاتھ۔اَتھ چھُ تۄمُل کھبنہٕ تلہٕ نَرم آسان۔ یَتھ نہٕ دِقتھ ییہِ۔

سوکھ سَر:-اَکِس جاناوارُ سُند ناو۔

سوگم:-(مؤل: سوگم <س: سُگمہ )۔سَہَل۔ آسان۔ یُتھ نہٕ دِقتھ ییہِ۔

سوگم سنگیت:-(ن۔مؤل:سوگُم سنگیت <س:سُگمہ + سنگیتہٕ )۔لوتہٕ وأے مؤسیقی۔

سوگہٕ داس:-(ن۔مؤل: سوگہٕ داس <؟) اَکھ داس ذاتھ۔یَتھ زأدیُل تۄمُل نیران چھُ۔م: دور گنڈ۔

سوگہٕ نیار:-(<س:سُگہٕ =پڑاکرِت:سُگہٕ )۔(رؤد شہِن پینہٕ پتہٕ )نَب صاف گژھنچ حالتھ۔

سول:-(م۔مؤل:سول<؟)۔ا۔اکہِ قِسمُک دوپھ، اَمہِ کِس کاٹھس چھِ کانگر ژٕنہٕ بناوان۔۲۔ترٕ ڈ ترٕ چالہِ اکھ وٕسنی کچھ یُس داس زٕمینس کھسان چھُ۔

سولیہٕ کاٹھ:-سولہٕ دوپھُک کاٹھ۔

سولہٕ ناوُن،سولہٕ وُن:-وُچھِو"سُلہٕ وُن"۔

سولہٕ:-(مؤل: سولب <س: سُلبھ )۔ا۔ یہِ سَہَل پأٹھی بنہٕ۔ گُنُل۔ کأفی۔ وٕفوٗر۔غلبہٕ۔۲۔سہل پأٹھی سپدتھ ہیکہِ۔یَتھ نہٕ بۄن آسہِ۔

سولہار:-(م۔مؤل:سولہار <ژولہٕ ہار،لفظُک بِگار < س:اُجلِہ +شالا)۔بتہٕ رَنہٕ نچ جاے۔دانہٕ کُٹھ۔

سومَن:-(ن۔مؤل: سومَن <س: سُمَنہ )۔ا۔پُٔن مَن۔بأطِن۔۲۔رُت مَن۔نیک بأطِن۔

سون ا:-(ن۔مؤل:سون <پڑاکرت:سُوَنّہ <س: سوٗرنہ )۔ا۔زَرٕ درَنگہٕ اَکھ سبٹھاہ موٗلج داتھ۔ اَتھ چھِ وَس بیترِ بناوان۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) تہٕ یہِ سبٹھاہ قیمتی آسہِ۔مولُل۔۳۔(ورگہٕ پأٹھی) یَتھ نہٕ کینٛہہ وَنُن آسہِ۔یَتھ نہٕ کُنہٕ قسمچ کُسر یا پَرگی آسہِ۔

سوٗنَس بوش کُنَس تَل:-تہٕ ڈٔپتھ گو پزٕتھ کُنہِ چیزس چھُ پنہٕ نی (صحی) جایہِ بُجر۔یُس چیز نہٕ کامہِ لاگنہٕ ییہِ تَتھ چھُنہٕ کانٛہہ بوٗر۔

سونہٕ پِنگن:-نیہٕ شکلہِ قالب۔یَتھ اَندر کأرِتھ سون ترأوان چھِ۔

سونہٕ روپہٕ کنہٕ چھےٚ تاراچنٛد:-تہٕ ڈٔپتھ گویتہٕ دِتہٕ یاہمہِ ییمہِ کنہٕ کانٛسہِ ہُنٛد چھراپان آسُن (عام پأٹھی داجَس پٹھ وَنان) چھیلتھ چھوٚکتھ۔(چھرا) پنہٕ نُے پان آسُن (ہیتہٕ دِتہٕ ورأے)۔

سونہٕ ساگرلَر:-اکہِ قِسمُک سونہٕ وَس یَتھ سونہٕ سِنٛدی سبز ہی ترأوِتھ آسان چھِ۔سونہٕ سُند ہَتہِ پھوٗل۔سونہٕ سُند ہُٹۍ وَس۔

سونہٕ سپر:-سیرٕ چالہِ گرنہٕ آمُت سونہٕ لاٹھ۔

سونہٕ سوو:-اَمیر۔آسُن وول۔یُس سبٹھاہ مال ودولتھ آسہِ۔دیارٕ وول۔

سونہٕ کیسرِ:-سونہٕ سُند گرنہٕ آمُت پوش ہیوٚہ یُس

وَستَس جُران چھِ۔

سونہٕ گۄبُر:-(ورگہٕ) (شُر بیترِ) یُس تہٕ کھُرِل کرِ۔ یُس تہٕ سپدِ ل آسہٕ۔ شُر پف تہٕ سوو۔

سونہٕ لَر:- کُنہٕ تِژ بیٚچ سونہٕ سٕنز داو۔

سونہٕ مال:- سونہٕ سُند ہار۔

سونہٕ مایہ:- کاٗرتھ سون۔ کاٗرتھ سونہٕ سٕتۍ کرنہٕ آمُت کُلٹھ۔ سونہٕ مُلہٕ مایہ۔

سونہٕ موہَر:- ا۔ سونہٕ سٕنز بناونہٕ آمٕژ موہَر (اَشرٔفی واَج)۔ ۲۔ سونہٕ سُند سِکہٕ۔ سونٕک ضرب۔ ۳۔ وَزنہٕ کِنۍ سونہٕ سٕندِس سِکس برابر سون۔

سونہٕ وَرُق:- اَرتلہٕ وَرُق۔ سونہٕ ہٕری رَنگہٕ وَرُق ہیٚو ہ یُس کھینہٕ چیزَن بیترِ سَجاوٕٹہٕ باپتھ مَران چھِ۔ م: روپہٕ وَرُق۔

سونہٕ وَس:- سونہٕ سُند زیوٗر۔

سون گرٕرے روپھ گرے کرُن:- تہٕ ڈٕپتھ گوژ ٹھُکی وادِ گرٕری اَکھ وادِ تہٕ نہٕ پوٗرٕ کرُن۔ ڈھری وادِ کرِنۍ۔ م: نابُد پھوٗل اَسَس اَندر تھوٗن۔

سون ۲:-(م۔مؤل: سون <س: سُپتنی) رِنۍ سٕنز بیٚا کھٕ زنانہٕ۔

سونہٕ ہُنٛد پوٗن:-(ورگہٕ) مُخالفہٕ سُند طرفدار۔ یُس دُشمنہٕ سٕندِ طَرفہٕ کتھ کڈنہٕ یِیہٕ۔

سونہٕ بوٗد:- سُہ وَرتاو یُس سونہٕ پانہٕ واٗنۍ کران چھےٚ، پامہٕ پام تہٕ ہَرٕ ہَر۔ سونہٕ پنٛد ہیٚو ہ اَن

ہشُر تہٕ عداوتھ۔

سونہٕ پاٗتھر:- سونہٕ ہُنٛد ہیٚو ہ وَرتاو۔ سونہٕ توٗن۔

سونہٕ توٗن:- سونہٕ ہُنٛد ہیٚو ہ وَرتاو۔ عداوتھ ضِد ضِد۔

سون ڈٕہیشتھ رِوٗن، پترٕ نۍ ڈٕہیشتھ لِوٗن:- تہٕ ڈٕپتھ گوڈٕ شمنَس تھی نہٕ پتَن بَجر یابڈٕ ہی تژ اوِنۍ۔

سونَتھ:-(ن۔مؤل: سوٗت <ع: سُنّتہ)۔ ا۔ طریق کار خاص کرِ سُہ یُس حضرتِ محمدؐ صاٗبَن یا حضرتِ ابراہیمؑ فرموو تہٕ پانہٕ تہٕ عملہٕ مَنز اون۔ یہٕ کیٚنژھا پاٗغمبرٕ خوداَیَن پانہٕ کوٗر تہٕ لوٗکن کرُن وَنُکھ۔ ۲۔ فرض نِمازِ بغاَر سو نماز یوسہٕ حضرت محمدؐ صاٗبَن پانہٕ بطورِ نفل پُرٕ تہٕ لوٗکن تہٕ پرِنۍ دِٕکھ۔

سونَتِ اِبراہیمؑ:- یہٕ کیٚنژھاہ حضرت ابراہیمؑ سٕندِ حُکمہٕ موٗجوٗب مُسلمان کرُن لاٗزِم چھُ، تہٕ زَن گو ختنہٕ ہال بیترِ۔

سونَتِ محمدؐ، سونَتِ محمدی:- حضرتِ محمدؐ صاٗبَن طریق کار۔ مثالے: مسواک کرُن، اِصلاح کرُن، سورمہٕ لاگُن تہٕ سرٕ ان صفاٗیی بیترِ کرِنۍ۔

سونَت موکدہ:- سُہ سونَتھ یمیُک تاکید آسہٕ، سونَتھ یتھ پیٹھ اِصرار آسہٕ۔

سونَتھ ۲:-(م۔مؤل: سونت <ع: سُنّتہ)۔ ختنہٕ ہال۔ خُتنہٕ۔ بیہناوُن (شُر بیترِ)۔ سونَتھ کرِنۍ۔ ختنہٕ ہال کرِنۍ۔

سونَتھ ۳:-(ن۔مؤل: سونت <ع: سُنّتہ) گاش پھولہٕ

وُن۔صُبح صأدِق۔

سوٗنتھ پھولہٕ وُن :- گاش پھولَن وِزِ۔صُبحس سُلہِ۔ غزٕل وَقتہٕ۔

سوٗنتھ پھولُن :- صُبحُک گاش پھولُن۔سَگر پھولٕنۍ۔

سوٗنٛتس،سوٗنتَن بأگی :- سُلہِ صُبحاے۔گاش پھولہٕ وُنے

سونہٕ پوش :- اَکہِ پوشُک نار۔

سونہٕ پوش تہٕ تار، تہٕ وہنہٕ پوش تہٕ تارٕ :- تہٕ ژٕ پتھ گو نَرمی ہتۍ تہٕ ہیکہِ سوکأم نیرتھ۔یوسہٕ دیار گأٹتھ کڈنہٕ یِیہِ۔

سونہٕ چرٕ :- (ن۔مؤل: سونہٕ چرٕ)۔ا۔سونہٕ ہُری رَنٛگ گُرتھ اَکھ سبٹھاہ خوٗبصوٗرتھ جاناوار۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سبٹھاہ مولُل یا نایاب چیز۔

سونہٕ ژوٗر :- (ن۔مؤل: سونہٕ ژوٗر)۔اَکھ جاناوار۔ اُرکس جاناوارِ سُنٛد ناو۔

سونہٕ کانٛٹھ :- پکوٗس بیترِ آنٛزٕلس کرنہٕ آمٕت اَکہِ قِسمُک فرنٛج۔

سونہٕ لانٛک :- (م۔مؤل: سونہٕ لانٛک > س: سؤرنہٕ + لنٛکا)۔ڈَلس اَندرا کہِ لانٛکہِ ہُنٛد ناو۔

سونہٕ مَرٕگ :- کٔشیر اَندرا کہِ صحت افزا کوہہٕ پتھرِ ہُنٛد ناو۔

سونہٕ ہُری ،سونہٕ ہأری :- ا۔سونُک ہیوٗ رَنٛگ۔یتھ رَنٛگ سوٗنٛس آسان چھُ۔۲۔یتھ سونہٕ ملیہِ آسہِ۔یتھ سونہٕ سُنٛد گِلٹھ آسہِ۔

سونہٕ ہُری دَور :- سُہ وَق یتھ اندر لوٗکھ سوکھہٕ سان آسان۔

سوٗنُر :- (ن۔مؤل: سوٗنُر > س: سؤرنہٕ کار) یُس سونہٕ ہٕنٛدی وَس بیترِ گران آسہِ۔روپہٕ ہٕنٛدی یا سونہٕ ہٕنٛدی چیز بیترِ گرن وول۔

سونرتھأج :- سُہ سامانہٕ یا کرٛٹُل یتھ اَندر سوٗنُر سون تہٕ روپھ بیترِ لاگان چھُ۔

سوٗنرَکأم :- ا۔سونرٕ سُنٛد کار۔۲۔(ورگہٕ) زأدِج کأم۔

سوٗنٛز :- (م۔مؤل: سوٗنٛز > س: سَمبنٛدھنی)۔سوٗنۍ ہٕنٛز زَنانہٕ۔کورِ ہٕنٛز یا نیچِوِ ہٕنٛز ہش۔

سوٗنٛیٹ :- (ن۔مؤل: سوٗنٛٹ)۔سوٗنہِن ہُنٛد رِشتہٕ۔ سوٗنۍ رِشتہٕ۔سوٗنہِن ستۍ رِشتہٕ دأری۔

سوٗنٛدَر۱ :- (م۔مؤل: سوندر > س: سُنٛدَر)۔ا۔زنانہٕ پٔرسنہٕ پتہٕ شران صفأیی کرنٕک اَکھ رَسم۔ ۲۔نیاز یُس زاشرِس ستۍ مہِ دوہہٕ کران چھِ، اَمہِ دوہہٕ چھکس کوٗیَن بیترِ سال کران یا بتہٕ سوزان (ہِنٛدٕ پأٹھی مُسلمان)۔

سوٗنٛدرِ بَتہٕ :- بتہٕ یُس ٹاکس کبتھ کس کوٗیَن یا اَشناوَن بیترِ سوزان چھِ۔

سوٗنٛدَر۲ :- (مؤل: سوندر > س: سُنٛدَر) مأرُ موٗنٛد۔ شکلہِ کٕنۍ جان۔خوٗبصوٗرتھ۔حُسین۔

سوٗنٛدَر مال :- خوٗبصوٗرتھ زَنانہٕ۔حُسین زنانہٕ۔ مأرُ مُنز تہٕ شوٗبہٕ وٕنۍ زنانہٕ۔

سوٗنٛدرِ ہٕنٛدی شانٛد آسُن :- تہٕ ژٕ پتھ گومت

مٔگن آسُن۔ کُنٛہ نہٕ خبرٕ ےآسٕنۍ۔م: پڑلنہٕ وِ ے
تارٕ وتران آسُن۔

سوٗنڈِ ہِنٛز پوٗنڈ:۔تہٕ ذٕ پتھ گوجان اَستھ تہٕ کانٛہہ اَثر کرُن۔
سوٗنڈِ بڑ آر:۔بڑٕ نگ علاقس اَندرا کھ پوٗیٹر نا گگ ناو۔
سوٗنڈُر:۔(ن۔مؤل: سوٗنڈر)۔اَکھ ذٕ سنٛز گاسہٕ ذاتھ،
اَتھ چھٕ ذٕ تھرٛن مَر ژ پھلۍ ہی آسان۔
سو اَتھ،سوٗآ ژ تارُک:۔(ن۔مؤل: سووات >
س:سوٗاتہٕ)۔اَکھ نِچھتُرک ناو۔اَکھ گرٕ ہد۔
سوٗے:۔(م۔مول:سوٗے)۔ا۔کَنڈۍ دار ذٕ تھر کرٕتھ
اَکھ ذٕ سنٛز کچھِ ذاتھ (یہِ چھُ پٹھس زٕ مینٛس
دوٗپھن اَندر رکھسان تہٕ اَمہِ کہِ چھِہہ لکنہٕ ستۍ
چھُ زٕمہٕ پھُہان تہٕ بَستہٕ کھسان)۔۲۔(ورگہٕ
پاٗٹھی) یِسٕنز صوحبَتھ اِذا واتناوِ۔۳۔بدٕتھ۔
سوٗیہِ ٹوٗپ:۔سوٗیہِ گُلیُک پھوٗلمُت تھر۔
سوٗدوٗ پھ:۔یکہٕ وٹہٕ کھُتۍ ستۍ وار یاہ سوٗیہِ گُلۍ۔
سوٗیہِ زَنڈ/ زَرٕنڈ:۔وُچھِو "سوٗیہِ دوٗپھ"
سوٗیہِ سَگ دِیُن:۔تَتھ چیزٕس پلالہٕ کرُن یمہِ ستۍ
پتہٕ پانہٕ ہے زٕ کھوّاتہٕ۔
سوٗیہِ شَلکھ کرُن:۔وُچھِو "سوٗے چھاوٕنۍ"
سوٗیہِ لَد:۔سیزٕ ل (شَر بیترٕ)۔
سوٗے چھاوٕنۍ:۔سَزا پٕڑھی کانٛسہِ سوٗیہِ ستۍ چوب
دِنۍ۔سوٗیہِ ستۍ شَلکھ کرُن۔
سوٗے لگٕنۍ:۔سوٗیہِ چھِہہ ستۍ پھُہن یا بَستہٕ کھَسنہٕ۔

(ورگہٕ پاٗٹھی) اَکِس جایہِ نہٕ قرار یُن۔
پھُپھرٕنۍ لگٕنۍ۔
سوٗےوٕوٕنۍ:۔پانے پانٛس کیٗت دُشمَن نوٗ وراوُن۔یتھی
ناکار کرتوٗت کرٕنۍ یِمیُک نتیجہِ پتہٕ پانہٕ ہے
پَلِزٕ۔
سوٗیَتھ:۔(م۔مؤل: سویت >س: سٕہ+ وَرتہٕ)۔
بُتۍ۔ پھُٹۍ لہٕ (دَجو یا پھَمبک) یُس ژٕ اَنٛگس
بیترٕ تھوان چھِ۔ دٕوٕتھ یا ذُٹھتھ پھُٹۍ لہٕ یُس
ژٕ اَنٛگس یا لالٹینٛس بیترٕ لاگان چھِ یتھ رٕنیہہ
دوتھان چھےٚ۔
سوٗیَم:۔>س: سوٗیم)۔ا۔ پانہٕ۔پَنٕنہٕ پانہٕ۔۲۔سُہ
شِوٕلنگ (یا موٗرتی بیترٕ) یتھ مُتلق وَننہٕ چھُ یوان
زِ یہِ چھُنہٕ کانٛسہِ کاٗرۍ گرن گوٚ رمُت۔۳۔کٔشیرِ
اَندر اکھ جایہِ ہُنٛد ناو، اَتہٕ چھُ زٔمینہٕ اَندرٕ تہٕ
دوٗنۍ نیران تہٕ لوٗکھ چھِ تتھ پتھ فاقہٕ بَتہٕ رَنان۔
سوٗیَم بوٗ:۔(ن۔مؤل: سوٗیم بوٗ >س: سوٗیم بھوٗ)
یَس پانے آسہِ پاٗدٕ سپدِ مُت۔وِشنوٗ سُندا کھ ناو۔
سوٗیَم لگٕن:۔سوٗیمہِ دِوٕ ےلگٕنۍ۔
سوٗیَم وَر:۔(ن۔مؤل:سوٗیم وَر >س:سوٗیَم وَر)
پانے پَنُن وَر یار وُن پسند کرنک رَسم۔
سوٗیہِ پوٗش:۔کنکہٕ ہیٚلۍ چالہِ اَکھ پوٗش۔
سےٚ بُرٛگ:۔(ن۔مؤل: سیےٚ برٛگ >ف: سہ+ برگ)
(تلہٕ دوٗ زکتھ) اکہِ قسمُچ ذٕ نٛز یوٗسہ پکوٗس دامنس

کران چھ۔
سےٚ بُرگی:- بٔطخ تیٚری چالہِ اَکھ کچھ ذاتھ۔
سیٚپستان:-(ن۔مؤل:سیٚپستاں<ف:سہِ+پستان)۔
اکھ کُلۍ زٕ زٕنڈُک پھَل یُس شر بٔڑ لگان چھ۔
سیٚپنبر:-(مؤل:سیٚپنبر<وُچھو:سیٚوپ)۔ا۔سیٚوپ
آسُن۔۲۔ئنٛزِ مہٕ گی۔
سیٚپہ وأر:-وُچھو"سیپھ"لفظس تل۔
سیٚپہرا:-ئنٛزِ مہٕ گی۔
سیٚحر:-(ن۔مؤل:سیٚحر<ع:سحر)۔جود۔مأنٛتھر۔
سیٚحر کرُن:-جود کرُن۔تأویز کرُن۔
سےٚ دَستہٕ:-(مؤل:سےٚ دَست<ف:سی+دَستہ)
اکھ قسمُک تاس۔اَمکہ پتہٕ اَسۍ گول تہٕ نقش
کُرِتھ آسان۔
سیٚسی:-(<س:سیسہٕ)۔بٔتس گامٕژ گرٕ یِچہ ہشہٕ۔
سیٚسی بتہٕ:-بتہٕ یتھ وُگرٕ آسہٕ،کنۍ گرٕ یچہ ہشہٕ گامٕژ آسُن۔
سیٚسی گرٕژھنی:-بتس وُگرٕ آسہٕ،کنۍ گرٕ یچہ ہشہٕ گرٕژھنہٕ۔
سیٚشن:-(ن۔مؤل: سیٚشن <اَنگ :سیٚشن
Session)(عدالتھ ہنٛز ریک)
سیکہ بوُس:-کو کرٕ سُند یا جاناوارس ہنٛز سُند میاد۔بوس۔
سیکٕل:-(ن۔مؤل:سیکل<س:سِکتا)۔ا۔یتھ جایہِ
واریاہ سکھ آسہٕ۔ریگستان۔۲۔یتھ سیکہٕ ہٕنز رَل
آسہٕ۔۳۔نرم تہٕ پھُھر زمین۔سیکہٕ دار زمین۔
سےٚ منٛز۔سےٚ منٛزٕ س:-(مؤل:سےٚ منٛز<؟سےٚ+
پراکرت:مجھ<س:مَدھیہٕ)۔برابر منٛزس۔
یہٕ یُس منٛز باگ آسہٕ۔
سےٚ منٛز سوتھ:-ا۔کٔڈس یا سُمہٕ ہنٛز منٛز باگ۔
۲۔اَڈٕ وَتہٕ۔نہٕ ہورتہٕ نہٕ یور۔
سیٚمبر:-(مؤل:سیٚمبر)۔سیٚوب آسُن۔سیٚہ وار۔
سیٚزاوُن۔سیٚزرُن:-(ن۔مؤل::سیٚزر<س:سِوٗنتہ)
ا۔مازٕ س ہنٛز پۆرٕ پاکھ دِیُن (یتھ نہٕ دوٗر روزِ)۔
وارٕ پاکہٕ اَنُن۔۲۔رَبہٕ ہنٛز آب سٕزراوُن۔
سیٚنِما:-(ن۔مؤل:سیٚنِما<اَنگ :سیٚنِ ما(Cinima)
ا۔سو جاے یتہٕ فِلمہٕ ہاونہٕ یوان چھےٚ۔۲۔فلم۔
سیٚنِما سکوپ:-فلم یوسہٕ بٔڈس پَرٕ دس پٹھ ہاونہٕ
یہٕ،اَتھ اَندر رچھِ تصویرٕ عام فِلمو کھوتہٕ ترٛٹنہٕ
بٔڈراونہٕ یوان۔
سیٚنِما ہال:-سُہ بۆڈ ہال۔یتہٕ فلم ہاونہٕ یوان چھےٚ۔
سیٚنبر:-(مؤل:سیٚنر<س:سِوٗنہٕ)۔ا۔نۆن کم آسُن
(سنٛس ہنٛزِ)۔۲۔سبُن پاکہٕ ہیٚنٛچ حالتھ۔پاکہٕ
یُن۔۳۔کامہٕ ہنٛز اَندر رگوٗش۔سہٕ سہٕ۔
سےٚ وُتر:-ڈبکس کھأرمٕژ دِژٕہ۔
سیٚوبر:-تھوتھ۔ٹھوٗنٹھ۔روٗٹ۔اُٹھکاو۔
سیٚہر:-(ن۔مؤل: سیٚہر <پراکرت: سیٚہرو<س:
شیکھر)۔ا۔دَشہٕ دار روپہٕ سُند یا سونہٕ سُند اَکھ
کلہٕ وَلیُن یُس مہرازس گنڈان چھِ۔۲۔مکایہِ
وَچہٕ ہنٛدی وال۔

سیٖےٚ :-(م۔مؤل: سیٖےٚ) ۔سیے ۔نِکی نِکی کیٖمی یِم ترکارِ بیترِ ووتھان چھِ۔

سیٚیَل ۔سیٚیہِ لَد :-سیَتھ سیے آسہٕ وٕژھمُت۔

سیتارِ :-(ن۔مؤل: سیتار<ف: سِتارہ) واینٛگ اَکھ ساز۔اَتھ چھےٚ تارِ آسان۔

ستیأری :-سیتارِ واین وول۔یُس سیتارِ وایُن زانہِ۔

سیتھ :-(م۔مؤل: سیتھ<س: سَمتاپہ)۔ا۔تھوتھ۔ سیوٚبر۔ٹھوٗنٛٹھ ۔گُنہِ چیٖزس ستیٚ ژھرٕ ٹھ۔کأنٛسہِ کأم کرِنس اوٚنمُت سِتیٖچہِ (چیٖزن بیترِ ستیٚ ئلی زیٖر زیٖر گرِتھ) ژھرٕ ٹھ۔ئلی زیٖر زیٖر یا زِکھ زِکھ۔ فَرَتھ۔۲۔ جادِیا تأویٖزِ بیتریُک ناکارِ اَثر۔ ۳۔مرگی۔گأیلہِ۔

سیتہِ لَد :-سیرَل۔یُس ئلی چیٖزن ستیٚ سیتھ کرِ۔ یَس نہٕ سو کھیٖہنَس واریوان آسہِ۔

سیتھ اَنٛنی :-ا۔اورِ یورٕ چیٖزَن بیترِ ستیٚ زیٖر زیٖر گرِتھ کأنٛسہِ کأم کرِنس ٹھوٗنٛٹھ اَنٛنی یا تھوس ٹٕلنی ۔سیوٚبر اَنُن۔ فُٹرِتھ ٹُلنی۔۲۔ جود یا تأویٖزِ کرُن (کأنٛسہ) ۳۔چھیٖڑ خأنی کرِنی۔

سیتھ آسنی :-ا۔جود یا تأویٖزِ کرنہٕ پتہٕ کُنہِ نہٕ حواسَن اَندر آسُن ۔تصرُف آسُن ۔۲۔ژھرٕ ٹھ آسنی۔

سیتھ دِنی :-(کأنٛسہِ ہنٛدِ بن) چیٖزَن بیترِ ستیٚ ئلی ژھرٕ ٹھ دِنی۔

سیتھ کرِنی :-وِچھو ''سیتھ دِنی''

سیتھ تِنی :-گُنہِ کامہِ بیترِ ٹھوٗنٛٹھ تِنی۔ رُکاوَٹھ پأدِ گژھنی (دُشوأری بیترِ کَنی)۔فَرَتھ تِنی۔

سیٹھ :-(ن۔مؤل: سیٹھ<پراکرتھ: سیٹھو<س: شرٛیشٹھ)۔ا۔بوٚڈ بپأری۔۲۔اَمیر۔آسَن وول۔ بوٚڈ موٚہنیو۔

سیر ا :-(ن۔مؤل: سیر<س: سیٹکہ)۔اکہِ وَٹُک ناو۔وَزنہٕ پُژھی شُراہ چھٹانگ،ژور پاوٕ۔

سیرِ واد :-ا۔یہِ سیرِ سیرِ تولنہٕ آمُت آسہِ۔۲۔واریاہ سیر۔

سیرِ داو :-ا۔ (ورگہٕ) بتہٕ داو۔ بتہٕ نہٕ آسُن ۔ پنٛنچ وہٕ ہے۔۲۔(ورگہٕ) روٗزی نہٕ آسُن۔ تیٖتھ کیٖنٛہہ یمہِ ستیٚ روٗزی ژھینہِ۔

سیرِ واوِ کھوتہٕ چھُ ڈیرِ واو سخ :-تہِ دٕپتھ گو بتہٕ نہٕ آسنہٕ ستیٚ چھنہٕ تیژ سختی ییژ ڈاپھ ترٛاوِنی۔ کٕژ جاے نہٕ آسنہٕ ستیٚ گژھان چھےٚ۔یِڈ ہٕنژ سختی ہے گُنہِ کنی ژالنہٕ ییہِ جایہِ ہنٛز سختی چھنہٕ برداش سپدان۔

سیر ۲ :-(م۔مؤل: سیر<س: شِرا)۔نَس سیر۔نَستہِ کنی آمُت خوٗن (یہِ چھےٚ اَکھ بیمأری)۔

سیر ۳ :-(مؤل: سیر<ف: سیر) ،ترٛپھتھ۔یَس یِڈ آمُت آسہِ۔یَس تَسلا گومُت آسہِ۔ مُطمئن۔رأضی۔

سیر کرُن :-رأضی کرُن۔ کانٛہہ یِڈ برِتھ کھیاوُن چاوُن۔خوش کرُن (کانٛہہ چیٖز یَسلہِ پأٹھی دِتھ)

سیر گژھُن :-ا۔ترٛپھتھ گژھُن۔ یِڈ تِنی۔ سیرٕ ی گژھنی۔ ۲۔رأسنی گژھُن۔تسلی یُن۔

سیر۴:-(م۔مۆل:سیر <س:ہِرا)۔ژٕپھ۔
سیر دِنۍ:-گینٛس کُنِس ژٕپھ دِنۍ، کٔنٛج رَگ مۆڑٕنۍ۔
سیف:-(م۔مۆل:سیف <اَنگ:سیف)شُستروالمارۍ یَتھ اَنٛدر روپیہ بیترِ تھَوان چھِ۔تجوٗری۔گٔنٛجینہٕ۔
سیکرٹیری، سیکٹرۍ:-(مول:سیکریٹرۍ <اَنگ:سیکریٹرۍ Secretary)۔ا۔سَکتر سرکاری دَفترُک بیترِ سُہ عوہدہ دار یُس نز کأم دَفترُک نظام چَلاوُن آسہِ۔۲۔ذأتی مَددگار۔سُہ یُس داے دِیہِ۔
سیگر:-اَکھ پُترٕ دارگاسہٕ ذاتھ۔
سیل ۱:-(م۔مۆل: سیل <س: شیلہٕ)۔(ویٚنٛٹھ پۆٹھ)سکھ۔
سیل ۲:-(م۔مۆل: سیل <اَنگ :سیل Sale)۔ کِنٛن۔کِنہٕ نٔچ کأم۔م: گاٹھس پیٹھ چھےٚ نٔو بَجہِ سیل لگان۔
سیلأنۍ:-(م۔مۆل:سیلأنۍ <؟)اَکہِ قِسمُک نَگ یتھ ہار بناوان چھِ۔یُس ترٛاوِنہٕ مالہٕ ہُنٛدۍ شیشہٕ پھٔلو۔
سیلأنۍ پھۆل:-سیلأنۍ مار ہُنٛد اَکھ پھۆل۔
سیلہٕ کون:-اَکھ کھیلہٕ ہُنٛد ناو۔اَکہِ قِسمُک نَرد۔
سیمپل:-(ن۔مۆل:سیمپل <اَنگ :سیمپل Sample) نٔمونہٕ۔
سینڈل:-(م۔مۆل:سینڈل <اَنگ :سینڈل Sandal)۔تھزٕ کھورِ کُرِتھ زنانن ہُنٛد اَکھ کھوربانہٕ۔بَجہِ کۆنٛش۔

سپہھ:-(م۔مۆل: سیٚپ)۔اَکہِ قِسمٕچ ہُرۍ میٚژ یوسہٕ لوٗنس یا لیکھنَس لگان چھےٚ۔
سیٚپہٕ ژٕج:-بُسہٕ لٔدنۍ۔
سیٚپہٕ وأر:-ا۔دَواتھ یتھ اندر مَدرٕس شُری مشقہٕ لیکھنہٕ باپتھ ہُرۍ میٚژ اُڈرِتھ تھَوان چھِ۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) سوٗژنۍ یا کۆرِیَس بُتھِس چھٔژ لاے پھیر ہۆژ آسہٕ۔
سبتھُر:-(ن۔مۆل: سبتھر <س: سٔتر)۔ا۔فَرشس دِژہِ سۆترُ کُرِتھ زبن۔کیہہ مِلہٕ نأوِتھ زبن یوسہٕ پُتھرس ترٛاونہٕ یوان چھےٚ۔۲۔(تیر وارس منٛز)منٛگن ژژٕٹ۔
سبتھُر ترٛاوُن:-پُتھرس زبن وَہراوٕنۍ۔
سبٹ:-(ن۔مۆل:سبٹ <اَنگ :سبٹ Set)چیز بیترِ یِم اَکی قِسمٕکۍ یا اَکھ اَکِس ستۍ کُنہِ رَنٛگہٕ رَلہٕ وِنۍ آسَن۔جوڑٕ۔م:ٹی سبٹ۔
سبٹ سُکیر:-(ن۔مۆل:سبٹ سُکیر <اَنگ :سبٹ سُکیر Set Square)۔(جامٹرۍ بیترِ منٛز) نقشہٕ بناونُک اَکھ سِیدٕ کۆنٛل آوزار۔
سبٹ گرٛھن:-دَرُن۔ٹھیکھ پأٹھۍ ژھُن۔ٹھوس بَنُن (سِمٹھ بیترِ)۔
سبٹھ:-(م۔مۆل: سبٹ <؟) میٚاَدس اَندر بَتہٕ شُر پَنےٚ روزُن۔
سبٹھ گرٛھنۍ:-کھِیٚن بیترِ شُر پَنےٚ روزُن۔

سبٹھاہ :-(مؤل: سبٹھاہ <پراکرت : سیٹھ <س: شریشٹھ )۔زور۔یتھ جان باگے نیر۔یہ سارِنے پوشہِ۔یتھ نہ کُنہِ قسمچ کمی یا پرگی آسہِ۔ کانی۔گنل۔غلبہِ۔واریاہ۔اُچھی تلی یوون۔ جان تید ادس یا مقداراس اندر۔

سبد :-(م۔مؤل: سبد <س: سِدھ)۔۱۔کامل وو تمت (انسان)۔۲۔انسانس تھود اکھ تصوراتی وجود۔ ۳۔کامیاب۔کامران۔۴۔ثابتھ سپد مت۔

سبدتھ :-(م۔مؤل: سبت <س: سِدھ+تو) (کُنہِ کامہِ بیترِ منز) سبزر۔کامیابی۔کامرانی۔

سبدتھ گرٛژھنی :-سبزر گرٛژھن۔کُنہِ کامہِ اندر کامیابی سپدنی۔

سبِد :-(<س: سِدھ)۔۱۔بتھِ سیوٚد۔سیِد سیوٚد۔ ۲۔ہیٚوہ۔ہوس ہیٚوہ۔۳۔سادٕ سیوٚد۔

سبِد بوٗتی :-۱۔یَس نہ رژھ تہ چالاکی آسہِ۔ ۲۔مُڈ۔احمق۔

سبدُن :-(ن۔مؤل: سبد <س: سِدھ)۔۱۔سیوٚد گرٛژھن۔ٹھیکھ گرٛژھن۔دَر ہجر بیترِ نیرُن۔ ۲۔سُدرُن۔سیٚز وتہ پٔتھ یُن۔گھری پھ گی یا رذالتھ ترٲونی۔وتہِ لگُن۔۳۔اندُن۔اَندتھ ہکُن۔سَپدُن۔اتھِ یُن۔بٹھن۔۴۔نِشانس پٔتھ پیوٚن۔آیہ گرٛژھن۔۵۔(کُنہِ جاییہِ بیترِ اندر) اژُن۔کانسہِ ہُند کُن لگُن۔م: یہ سیِد یوٚس ہوورٕگُن۔۶۔اتھِ بیترِ ورُن (لیکھنس اندر)۔۷۔بلُن ٹھیکھ گرٛژھن۔۸۔شرارتہٕ یا مزٕ بیترِ تلہٕ ہمُن۔شرارتھ وسُن۔مورژلُن۔

سبزر :-(ن۔مؤل: سبزر <س: سِدھ)۔۱۔سیوٚد آسُن۔ ڈوکھ یا ہجر نہ آسُن۔ ہموٲری۔۲۔سبدتھ۔ کامیابی۔۳۔شوژر۔کھوٹ کھٹایہ ورٲے۔ ۴۔سادٕگی (کانسہِ ہُند) زمانی نہ آسُن۔

سبزر بوزُن :-پنہٕ نی شوزرٕ سٲری زاتتی۔سٲری پانہٕ سے ہی شوٚد کٔ وینٛدنی تہٕ تمن پٔتھ پژھ کرٕنی۔

سبزر پزر :-کھوٹھ کھٹایہ ورٲے۔شوزر سادگی۔

سبزر گرٛژھن :-کامیابی سپدنی (تتہِ نس یِتھ نہ وومیدے آسہِ)۔کہتام نکھ وسُن۔

سبزر لاگُن :-زانتھ سادٕ لاگُن۔

سبس :-(م۔مؤل: سٔیس <س: سِدھما)۔۱۔ژمہِ پٔتھ کھوتمت پرٕ ماز دانہٕ ہیٚوہ۔۲۔گلی دبلس کھرٕ ہرٕ موڈ بیخ ہش۔

سبسہِ بوٗمبُر :-ۂتھ درنہٕ تتی بنیمٕرٕ سبس۔

سکنڈ :-(ن۔مؤل: سکنڈ <انگ: سکنڈ Second) ۱۔اکہِ منٹک شیٹھُم حصہِ۔۲۔دوٚیم۔دوٚیمہِ نمبرک یا درجک۔۳۔سکنڈ ہینڈ لفظک ژھوٚٹ۔وُستھ مال۔

سکنڈ کلاس :-۱۔دوٚیم درجہ۔دوٚیم طبقہٕ۔۲۔وُستھ۔

سکنڈ موہ :-گرٕ ہُندس موہ یُس سکنڈ ہاوان چھُ۔موہ یُس اکس منٹس منز گرٕ ہُند چکر پوٗرٕ کران چھُ۔

سکنڈ ہینڈ :-۱۔ پرانہِ وار۔ یہ نہ نوٚو آسہِ۔ یہ استعمال کرنہٕ آمُت آسہِ۔ یہِ کانٛسہِ گوڈٕ چھوومُت۔ ہنڈ ومُت۔ رِنیوٗمُت یا کھُنڈ پھُٹ گوٚمُت۔ ۲۔ گرِ ہُند سکنڈ موٚہ۔

سکہِ بٔز :-(ن۔مؤل: سکہِ بُب <س: سِکتا + ببہ) اَکھ وٕسنٕ ہبڈٕر ذاتھ۔

سبکلہِ :-(ن۔مؤل: سبکل <س: شَکلہ)۔ کیہ ہُند گٕڈٕ دار ہچ ٹھانہِ یمہِ منٛزٕ دون (تارِتھ آسان چھُ۔

سکھ :-(م:مؤل۔ سِیک <س: سکتا)۔ کنِن ہنٛدی نکی نکی ریزٕ۔ کنِن ہُند زانٛو یل چوٗر (یہ چھُ یُتھ پاٹھی کولہِ بٹھِن یا ماداٗنن منٛز آسان)۔

سیکہِ بچھ :-ڈوٗرِس بیترِ کھارنہٕ آمٕژ سیکہِ ہنٛز بیر۔

سیکہِ بُلبُل:-اَکھ پچھِن ذاتھ، امِس چھُ سیکہِ رنٛگ آسان۔

سیکہِ بوٗٹھ:-سیکہِ لَبر۔

سیکہِ چھمب گژھن :-(ورگہِ) دٔرِتھ نہٕ ہیکُن۔ پایدار نہٕ آسُن۔

سیکہِ ڈاہکر :-۱۔زیوٗٹھ سیکیٖل زمینہِ ٹُکر۔ سیکیٖل زمین۔ ۲۔سرینگرس اَندرا کہِ محلٕک ناو۔

سیکہِ شاٹھ :-ڈرٕی یا وَس بیترِ منٛز سیکہِ لَبر۔

سیکہِ صابن گژھنی :-کٔرِتھ کرٕ اوٚتھ نہ لگُن۔ ناحقس زُو ژھٔنُن۔ جکھتھ کٔرِتھ نہٕ حاصل یُن میجنتھ ضایہ گژھنی۔

سیکہِ کرٕ وٚژھ ژھٔنُن :-۱۔(ووہو)۔ تٔژراوِتھ سکھ لانٛژ (کرٕ یژھ ستی)۔ ۲۔ بلاے ژھٔنٛزی۔

سیکہِ نوٗن تہٕ میژٕ تیل :-تہٕ دٕپتھ گو کانٛسہِ تھس پتھ پان گالُن یا دیار راوٕرٕنی یَس نہٕ لگہِ۔

سیکہِ نوٗن تہٕ وتھرٕ نہِ صابن :-وُچھو "سیکہِ نوٗن تہٕ میژٕ تیل"۔

سیکہِ ووٗنی :-۱۔ آب یتھ یَسلہِ پاٹھی سکہِ رَلہِ آسہِ۔ ۲۔سیکہِ منٛزٕ (چھانٛتھ) دژٕ امُت آب۔

سکھ تُونی :-۱۔نارس پیٹھ سکھ تٔژراوٕنی۔(یہ چھِ کرٕ بیترِ بزنہِ باپتھ بَربزٕ تٔژراوان)۔ ۲۔(ورگہِ پاٹھی) لُکہِ فاش پرُن۔ سَتہٕ پُترٕ ہن تام ووہوٗن۔

سکھ ڈٕلنی :-(اُچھن) ۱۔ پھٔھن (اُچھن) دوودآسنہٕ کنٕ اُچھن سَخ ڈٕلُن۔ ۲۔ اُچھن رِکٕر باسُن۔

سکھ ژھٔنٛزی :-مَنسأوِتھ ترٕ اوٗن۔ کُنہِ مُجراہس نہٕ اَنُن۔ مُشر اوٗن۔

سلل :-(م۔مؤل: سیل <اَنگ : سیل Cell)۔ گول ڈبہ ہیوٗ ہ یتھ اَندر بیٹری ہُند مَصالہِ بٔرِتھ آسان چھُ۔ بیٹری سیل

سل جُری :-(م۔مؤل: سیل جُری)۔ اکھ وٕسنٕ گاسہِ ذاتھ۔ اَتھ چھُ کلہِ وٚتھٕ چالہِ پوٗش آسان۔

سم :-(م۔مؤل: سیم)۔ ۱۔ سیوٚمب۔ ۲۔ ژوٚک۔ ۳۔ مؤل۔ بٔنٛز یاد۔ گُن۔ ۴۔ کتھِ بیترِ ہُند گوڈ۔

سم گلنی :-موٗلے ختم گژھن۔ بٔنٛز یاد گٔلنی۔

سمم گاگٕنۍ :-مؤل نام گاگٕنۍ۔ بُنۍ یا دگاگٕنۍ۔

سمب :-(م۔مؤل: سمب <س: شمبہ)۔ ا۔ توبٕؤ دیتھ اَنٛد رموردٕس دَفناونہٕ نوان چھہ۔ ۲۔ سیوٚب۔

سمہاسَن :-(ن۔مؤل: سمہاسن <س: سمہاسنہ) راز گدی۔ تخت۔

سمہٕ :-(ن۔مؤل: سم <س: سمہ)۔ اکہٕ رأش ہُنٛد ناو۔

سنٛبُن :-(ن۔مؤل: سمن <س: سؤنہ)۔ پۆر پأٹھی پاکھ لگُن۔ پاکھ دِنہٕ ستی نرم گژھن۔ پاکہٕ ین۔

سنٛٹ :-(م۔مؤل: سنٛٹ <اَنگ سنٛٹ Scent) عِطر۔ خوشبوٗ۔ پوشن بیترِ ہُنٛد عرق۔

سنٛٹی گرٛیڈ :-(مؤل: سنٛٹی گرٛیڈ <اَنگ: سنٛٹی گریڈ Centigrade) ترٛتۆرمینہٕ ٹنک اَکھ میژ۔ یہ چھُ شیٚتیٚن حسابہٕ چلان۔ م: فارَن ہایٹ۔

سنٛٹی میٹر :-(مؤل: سنٛٹی میٹر <اَنگ: سنٛٹی میٹر Centimetre) میٹرُک ہَتیُم حصہٕ۔

سنٛٹرل جیل :-(ن۔مؤل: سنٛٹرل جیل <اَنگ: سنٛٹرل جیل Central jail)۔ شہرس اَندر سأری وٕے کھوتہٕ بوٚڈ بأنٛدی وان۔

سنٛچُری :-(م۔مؤل: سنٛچُری <اَنگ: سنٛچری Centuray)۔ ا۔ شیٚتیٚل۔ ۲۔ کرکٹس منٛز اکھ ہتھ رنہٕ (دور)۔ ۳۔ صدی۔ شیٚتیٚ۔

سنٛڈ :-(م۔مؤل: سینٛڈ <س: سِندھ)۔ ا۔ کول۔ ڈری یاو۔ ۲۔ کٔشیرِ اَنٛد راکہٕ ڈری یاوُک ناو۔

سینٛڈِ ووٚنۍ :-سنٛڈ ڈری یاوُک آب۔

سنٛنگ :-(م۔مؤل: سینٛگ <پرٛاکرت: سنٛگھ <س: سمہہ)۔ سمم رأش منٛز ییلہٕ سِری یہ چھُ آسان۔ تیٚلہٕ چھےٚ سنٛنگ لگان۔ اَتھ دورانس منٛز چھہٕ شاسترٕ مُطابق لگن بیترِ کرٕنۍ نیٚشیدھ ماننہٕ یوان۔

م: اَستہٕ سنٛنگ۔

سنٛنگ زیٛٹھُن :-لاس لبُن۔ تہٕ زیٹھُن یا اَتھ لگُن یہ نہٕ زانہہ وُچھمُت آسہٕ۔

سہہ :-(ن۔مؤل: سہد <؟ ف سر+ع حد/صحن۔س: سیمنت) بنہٕ، سَر حد۔ حد۔

سہہِ کٔنۍ :-علاقن ہُنٛد بنہٕ بیترِ ونہٕ کڈنہٕ باپتھ ژٕمینس دِنہٕ آمٕژ کٔنۍ۔ بنہٕ کٔنۍ۔

سبےٚ :-(م۔مؤل: سیےٚ) نکیٚ نکیٚ کیٚمۍ یم ترکاریا کنہٕ کھینہٕ چیزس بیترِ ووتھان چھہٕ۔

سبےٚ ووٚٹھنۍ :-(م۔مؤل: سیےٚ) نکیٚ نکیٚ کیٚمۍ ووٚٹھنۍ (کنہِ چیزس ہوژنہٕ بیترِ ستی)۔

سیاپہٕ :-(ن۔مؤل: سیاپ <پنجابی، سیاپا)۔ کُھر۔ قوس۔ رٕوٗٹھ۔ اَٹھکاو۔

سیٛر :-(ن۔مؤل: سِر <س: سِنٛڈاکی <شِنٛڈاکی)۔ پوٚیہٕ۔ توملہٕ ڈنٛز۔

سِری پھوٚل :-ا۔ پوٚیہٕ موٗٹھ۔ ۲۔ سِری دانہٕ۔ گرمی دانہٕ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) پیٚؤشنا۔ رَژھا۔

سِری دانہٕ :-ا۔ لوٗگٹ۔ سِری پھوٚل۔ ۲۔ نیٛگ۔

گرمی دانہٕ ۔لوکٕٹ پھپھر۔

سِری ژوٗٹ:- سِری اَٹس بنان مژوٗٹ۔توملہٕ ژوٗٹ

سٕیُن:-(ن۔مؤل:سَن <ویدک س:سَنہ/سوٗدَنہ)۔

ا۔رٕنتھ تہٕ نوٗن مَصالہٕ بیترٕ ترٲوِتھ سبزی یا ماز بیترٕ

یُس بتس یا ژوچن ستیٚ کھوان چھِ۔۲۔ماز۔ناٹہٕ۔

سِنہٕ بٔرگ:-ا۔سبزی بیترٕ ہُنٛد ؤتھر یُس رَننہٕ یوان

چھُ۔۲۔کیٚہہ پہن سٕیُن۔

سِنہٕ پھوٗل:-ناٹہٕ پھوٗل۔

سِنہٕ تُل:-رَنٛنی کرٕ کیٚہہ پہن سبزی۔

سِنہٕ تھپھ:-تیوٗت سٕیُن یوٗت اکہٕ وِزِ ؤبرِتھ اَتھس

منٛز واتہٕ۔سِنہٕ بوٗک۔

سِنہٕ ران:-مازران۔رلنہٕ ہُنٛد ماز(کٔٹس بیترٕ ہُنٛد)

سِنہٕ کانٛی:-سِنہٕ تُل۔

سِنہٕ گاش:-سِنٛگ سوکال۔یِیلہٕ سٕیُن ووفوٗر آسہٕ۔

یِیلہٕ سبزی بیترٕ سولبہٕ پٲٹھۍ بَنہٕ۔

سِنہٕ لٔختہٕ:-بڑٕ مازران یوٗسہٕ رَنٛنی کرٕ آسہٕ۔رَنٛن کیٚیت

بوٗڈ ناٹہٕ پھوٗل۔

سِنہٕ لیچ:-ا۔پانہٕ یا دبگُل یتھ اَنٛدر سٕیُن رَنان چھِ۔

۲۔سِنہٕ ستیٚ بٔرِتھ لیچ خاص کٔرِتھ یتھ اَنٛدر ماز

روٗنمت آسہٕ۔

سِنہٕ مِلہٕ وَن:-(ہمسایَن بیترٕ ہُنٛد) اَکھ اَکس

سٕیُن بٲگرُن،سَخ پانہٕ نیار۔سَخ دوستی۔

سِنہٕ مُہم:-سِنہٕ دزاگ۔سِنٛگ کال۔یِیلہٕ تہٕ سٕیُن

بَنان آسہٕ۔

سِنہٕ مُہمہٕ سوژُل:-تہٕ ڈٕپتھ گو مجبوٗری کِنہٕ تھس

تھس پیٹھ تہٕ گُزار۔

سِنہٕ مُہمہٕ سوژُل تہٕ رٕنی مُہمہٕ کھنٛڈ واو:-تہٕ

ڈٕپتھ گو تیُتھ کانٛہہ چیز یُس ژٕڈ باپتھۍ آسہٕ۔یہٕ

نہٕ ہاوُن یا تھکناوُن لایق آسہٕ۔

سِنہٕ میٖل:-وُچھو "سِنہٕ مِلہٕ وَن"

سیوٗر ا:-(ن۔مؤل:سپر)۔کلہٕ دادِچ دَگ۔

سیوٗر پھٹراوُن:-نوٚٹھو ستیٚ ڈٚکس دوٚیہٕ طرفہٕ منٛگو پیٹھ

چیر اَنِتھ دَگ ہوٚمراوُنی۔

سیوٗر ۲:-(وُچھو:سیر)سپر ینٛ۔بانہٕ بیترٕ یتھ اَکھ سیر

پھل واتہٕ۔

سیوٗل:-(ن۔مول:سہیل)۔اَکھ شُری کھیل۔وُچھو

"ژھیوٗل"۔

سیوٗپ:-(ن۔مؤل:سیٖپ <س:سوٗپ)۔سوٗت۔

آلرٕژی۔یُس نہٕ ؤژھ آسہٕ۔

سیوٗتھ:-(ن۔مؤل:سیٖتھ <پراکرت:سِتھ <س:

شِشٹہ)۔مانٛچھ کاڑِتھ پتہٕ کُن روٗ دمُت مَل۔موم

سیوٗد:-(ن۔مؤل:سیٖد <س:سِددھ)۔ا۔ہجرٕ یا موڑٕ روٚس۔

یتھ نہٕ وَریا ڈوٚکھ بیترٕ آسہٕ۔کھسہٕ وَسہٕ ورأے۔

۲۔اورٕ یورٕ ڈلنہٕ روٚس۔۳۔تُل پیٹھ تھوٗنہٕ روٚس۔

۴۔بُتھ۔دولہٕ نہٕ۔مُقابلہٕ سِد۔۵۔آیہٕ۔حسابہٕ

سان۔۶۔نِشانٕس پیٹھ۔۷۔یُس نہٕ کھوٗٹ

کھٹاۓ آسہِ ۔ دِلہِ صاف یُس نہٕ کو کیرن آسَن ۔
یُس نہٕ مزاز س منز وَریابجر آسہِ ۔ ۸۔ ساد مزاز ۔
یُس نہٕ نُخرٕ کرِ ۔ ۱۰۔ وُچھن (اَتھ بیتر) ۔ ۱۱۔ دِق
بیترٕ ٹلنہٕ ورأے ۔ لڑایہِ بیترٕ روس ۔ تفریقہٕ ورأے ۔
۱۲۔ (ورگہِ پاٹھی) چور ۔ مُڈ ۔ فاتر ۔

سیِدْ بُتھِ :- ۱۔ بتھس دژہ لدنہٕ ورأے ۔ شرارتہٕ یا
لڑایہِ بیترٕ روس ۔ م: سُہ چُھنہٕ سیِدْ بُتھِ کتھ
کران ۔ ۲۔ کُنہٕ بڈ نوقصانہٕ ورأے وارٕ کارٕ ۔ مِ:
مُبارَک چھکھ سیِدْ بُتھِ پیایکھ نوش ۔

سیِدْ سیِدْ :- (وَرگہِ) وَل اَنہٕ ورأے ۔ کُنہٕ لڑایہِ جگرٕ
ورأے ۔ پھیہنہٕ تہٕ خوشکلبتھ کھارنہٕ ورأے ۔ کَج
بحثی کرنہٕ روس ۔

سیِدْس ہوٚل کرِ کیاہ :- تہٕ دُپتھ گو یُس دِلہِ صاف
آسہِ تَس چھُنہٕ پیٚنہٕ سُند بجر کرنہٕ سٕتی کانہہ نوقصان
وأتتھ ہیکان ۔ مُ: نیکو نیک کر بدَ لبہ پانے ۔

سیوٚ دُے :- ۱۔ سیوٚد ۔ موڑ بیترٕ ورأے ۔ وَرٕ بیترٕ ر
وس ۔ ۲۔ کُنہٕ رکاوٹہٕ روس ۔

سیوٚ د روزُن :- ۱۔ آیہِ روزُن ۔ اوریور نہٕ ڈلُن ۔
۲۔ دِق دأری نہٕ ٹلُنی ۔

سیوٚدساد :- ۱۔ کلابلاہ ۔ شوٚد بوٚد ۔ کھوٹھ کھٹایہِ روس ۔
یُس نہٕ نُخرٕ تہٕ وَر آسَن ۔ وَل چھلہِ ورأے ۔
یُس نہٕ کھوڑ پھیچہِ آسَن ۔ صاف دِلہِ انسان ۔
۲۔ (پوشاکھ بیترٕ) ہاوٕ باوٕ ورأے ۔ یتھ نہٕ زیادٕ

تماشہِ گرِتھ آسَن ۔

سیوٚد سیوٚد :- ۱۔ کُنہٕ ہلہٕ زِلہِ ورأے ۔ فورَن ۔ ۲۔
سیِدْ ۔ ہجرٕ ورأے ۔ ڈوکھ روس ۔

سیوٚد گرُھن :- ۱۔ وَریابجر بیترٕ نیرُن ۔ ڈوکھ نیرُنی ۔
۲۔ وَتہٕ یُن ۔ سزا بیترٕ کھیتھ کو کیرن تراوُنی ۔
۳۔ وَتہٕ ڈلتھ نہٕ پکُن ۔ منزٕ اوریور گوھنہٕ روس پکُن ۔

سیِدْ سیوٚد :- بتھِ سیوٚد ۔ اوریور ڈلتھ نہٕ ۔ آیہِ ۔

سبدٕ ہوٚل :- نیٚری کنہِ ساد اَندرِ کنہِ وُلہِ ۔

سیوٚس :- (ن ۔ مؤل: سیٚس) ۔ ۱۔ دزال ۔ یُس بدکار
زنانن پیشہِ کرناوِ ۔ یُس زنانن دزالہٕ کھییہِ ۔
۲۔ بیہوال ۔ یُس ہو ہو کھییہِ ۔ ۳۔ غیٚز مہٕ ۔
نابہٕ کار ۔ نالگہِ ہار ۔ ۴۔ زنانہٕ زوٚے ۔ زَن مُرید ۔

سیوٚم ، سیوٚمب :- (ن ۔ مؤل: سیٚم ۔ سیمی) میژ یوسہٕ آبس
سٕتی پیٚرٕ وسان تہٕ پاتھلس بیترٕ ڈوگرن منز سمان
چھےٚ ۔ میژ یوسہٕ سالابس سٕتی پیٚرٕ وَسان چھےٚ ۔

سیمی آب :- گرَٹ آب ۔ آب یتھ سیوٚمب سٕتی آسہِ ۔

سیوٚمب بہُن :- سالاب بیترٕ پتہٕ پیٚرٕ ڈژھ میژ
تل بہنی یا تاہ نشین سپدنی ۔

سیوٚمب کھسُن :- سیوٚب بیہنہٕ کنہِ زمین وگُن ۔

سیوٚن :- (ن ۔ مؤل: سیٚن <س: شونہ) ۔ ۱۔ رَنہٕ
سٕتی نرم گوٚمت ۔ ۲۔ (سیٚن بیتر) ۔ یتھ کھےٚ نوٚن
آسہِ ۔ ۳۔ یُس نہٕ مغزوِ کنہِ تیز آسہِ ۔ مُڈ ۔ یُس
نہٕ مغزن کینہہ سہَل سہَل تران آسہِ ۔

سیۄن کیۄن :- کھِمن یِتھ نۆن کم آسہِ تہٕ آب آسہِ آمُت ۔ (ورگہٕ پأٹھی) ۔ اۆل سۆل ۔

سیٖز :- ’’سیٖوٗ‘‘ لفظُک ماد (لفظ) ۔

سیٖزا ونگجہ چھٕنہٕ گۄ کھسان :- تہٕ دٕپتھ گو پزتھ ساتہٕ چھٕنہٕ سبز رٕ پزرے کأم نیران ۔

سیٖز وَتہِ پکُن :- ا ۔ بجہٕ وَتہٕ پکُن ۔ کو چوٗمزی نہٕ گژھن ۔ منزٕ نہٕ اور یور ڈٕلُن ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) دیانتھ دأری سان کأم کرٕنی ، دوہ کڈٕنی ۔

سیٖز مٔنی :- سبدٕ تھ ، کامیأبی (تتھ تیچ نہٕ براتھے آسہِ) ۔ م : ڈکرمٔنی ۔

سیٖز مٔنی گژھٕنی :- کامہِ سبز گژھن ۔ کأم اَند واتٕنی ۔ کامیأبی سپدٕنی ۔

سیٖز وَتھ :- (وَرگہٕ) دیانتھ دأری ۔ کھو چہِ ورأے چال چلن ۔ صراطِ مُستقیم ۔

سیٖز راوُن :- ا ۔ ڈوکھ یا ہجر ژلراوُن ۔ بے سمبر کاسُن ۔ ٹھیکھ کرُن (مرمتھ کرِتھ) ۔ ۲ ۔ وَتہِ انُن ۔ ہبد ا ہتھ کرِتھ ہچھناوُن ۔ ۳ ۔ شَلکھ کرُن ۔

سیٖنٛدٕر :- (م ۔ مۆل : سیٖنٛدر > س : سِندوٗر) ۔ ا ۔ شنگرف ۔ ووزلہِ رَنگہٕ اکھ پھکھ یوسہٕ اَکس خاص کنہِ ڈٕکتھ بناونہٕ یوان چھے ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) پژر ۔

سیٖنٛدٕر دِنی :- ہۆٹ بیہناوُن ۔ (ورگہٕ) اَس تھۆپ دیُن ۔ کرٕتھ نہٕ کرنہٕ دیُن ۔

سیٖنٛدٕر گژھٕنی :- چوٗر گژھن ۔ پینتی پینتی گژھنی ۔

نینٛگ نینٛگ گژھن ۔

سیٖنٛدٕر لگٕنی :- ہۆٹ لگُن ۔ (ورگہٕ پأٹھی) چیٖپ تہٕ نہٕ پھوٗرن ۔ ژھو پہٕ دَم گژھن ۔ کرٕتھ نہٕ کرِتھ ہکُن ۔

سیٖنٛدٕرِ تھم ہیٚوٗ ہ :- ووزُل نار تکھ ہیٚوٗ ہ (انسان بیتر) ۔

سیٖنٛدٕرِ گوٗر :- یُس سیٖنٛدٕر کنان یا بناوان آسہِ ۔

سیٖنٛدٕرُن ۔ سنٛدٕرُن :- (ن ۔ مۆل : سنٛدر > س : سِندوٗر) ۔ ا ۔ ووزلُن ۔ ووزُل گژھن ۔ ۲ ۔ خراب گژھن ، ہوٗژن ۔ کھے کرُن ۔ ۳ ۔ دوورِتھ بوٗس گژھن ۔

سیٖنٛدٕر ریر :- ا ۔ ووز جار ۔ ۲ ۔ یتھ کھے آسہِ لجمٕرٕ ۔ بیمی کھے کرمٕژ آسہِ ۔

## ش

فارسیُک شُرأہیم ، اُردوٗ ہُک کُنوٗہیم تہٕ کأشریُک ژوٗہیم اَچھر ۔ اَبجد حِسابہٕ چھُ اَتھ ترٛے ہتھ مول ۔

شَب :- (ن ۔ مۆل : شَب > ف : شَب) ۔ ا ۔ راتھ ۔ ۲ ۔ شب بیدأری ۔ رات ۔ راتس ہُشارٕ رُوٗزِتھ عبادَتھ کرٕنی ۔

شَبَس گژھن :- راتس کُنہِ جایہ بیدأری یا یادِ خودا کرنہٕ باپتھ گژھن ۔

شَبِ برات :- (> ف : شب + ع : برآۃ) ۔ ماہِ شعبانہٕ کہِ ژوداہمہِ تہٕ پنٛداہِچ دَرمیأنی راتھ ۔

شَبِ قَدر :- (> ف : شب + ع : قدر) ۔ ماہِ رَمضانہٕ

کہ شتوٗہ تہٕ ستوٗوہچ درمیأنی راتھ۔ اَتھ منٛز چھُ قرآن کریم پأغمبرِ اسلامس پیٹھ نأزِل سپُدمُت۔

شبِ معراج:-سو راتھ یتھ اللہ رحضرتِ محمدؐ صأب معراجس کھُتی۔ ماہِ رجبٕچ ستوٗہیم راتھ۔

شَب بخیر:-روت سلام۔ تہٕ زَن گوراتھ نیری ئے وارٕ پأٹھی۔

شَب بُرٕن:-ا۔ گُنہٕ زیارتس پیٹھ یادِ خوداکرنہٕ باپتھ راتَس ہُشارٕ ے روزُن۔ ۲۔ گُنہٕ جایہٕ راتھ دِنی۔ راتھ گزارٕنی۔

شَب بیدار:-سُہ یُس رأتی راتس ہُشار روزِ۔ زاگرتھ کرن وول۔ یُس راتَس دَے سورِ۔

شَب بیدار روزُن:-راتَس ہُشارٕ ے رُوٗزِتھ یادِ خوداکرُن یا نِماز پرٕنی۔

شَب بیدأری:-ا۔ زاگرتھ۔ رأتی راتس ہُشار روزُن۔ راتَس ذِکرِ حق کرُن۔ ۲۔ وُنیٛنڈُر۔

شَب بیدأری کرٕنی:-زاگرتھ کرٕنی۔ راتس ہُشارٕ ے روزُن۔

شَب چراغ:-ا۔ وَکھ لال یُس اَنہٕ گٹس منٛز زوتان چھُ۔ فاسفورس یِیس اَنہٕ گٹہٕ زوتان چھُ۔

شَب خوٗن:-سُہ حملہٕ یُس بےٚ شوٗنکی پأٹھی راتھ کٔیت کرنہٕ ییہِ۔ رات حملہٕ۔

شَب خوٗن مارُن:-(فوجہٕ ہیٚتر ٹیگ) بےٚ شوٗنکی پأٹھی روت حملہٕ کرُن۔

شَب دَرِ شام نہٕ آسُن:-کانٛہہ صوٗرِتھ نہٕ آسٕنی۔ کانٛہہ گُذارٕ نہٕ آسُن۔ زٕٹ میٛٹ کانٛہہ گوھٕنی۔

شَب دَرِ شام نہٕ روزُن:-بلکل گُذارٕ نہٕ روزُن۔ سخ غریب گژھن۔ واوآسُن۔

شَبِ دیگ:-سُہ سیٛن یُس راتس لِیٚجہٕ منٛز پاکس تھوٗنہٕ ییہِ۔ لِیٚجہٕ منٛز سسرِ تھاونہٕ آمُت سیٛن، خاص کٔرتھ مازٕ تہٕ تتھٕ ستی تز اوٚمرٕ گوٚجہٕ۔

شَب دیُن:-ا۔ راتھ ٹِپاوٕنی۔ ۲۔ گُنہٕ زیارتس ہیٚترِ پیٹھ دَ ے سورنہٕ باپتھ راتَس ہُشار روزُن۔

شَب رَنٛگ:-(ف: شَب+رَنٛگ) ا۔ لوٗکھ ووٚتہٕ ٹلناونہٕ باپتھ بنأوِ ئتی اَپزِ قصہٕ۔ نابہٕ ٹنٛگ۔ ۲۔ ٹھٕگل۔ ۳۔ لوٗکہٕ اَدٕس منٛز اَکھ کردار یُس ٹھٕگلہٕ منٛز کمال اوس۔

شَب رَنٛگ وَننٕی:-سٔنٛن اَتُر ہیٚترٕ ژوٗرِ تھوٗنہٕ باپتھ اورٕچہٕ یورٕچہٕ کتھٕ کٔرتھ ژھل تارُن۔ نابہٕ ٹنٛگ وَننی۔

شَبرنٛگی:-(ف: شَب+رَنٛگی)۔ چالاکی تہٕ ژھل بأزی۔ ٹھٕگل۔

شَب رٕنٛگی کرٕنی:-(چالاکی سان) کانٛہہ تارٕچ کوٗشش کرٕنی۔

شَب کڈُن:-راتھ بڑٕ مُشکلہٕ سان گُذارٕنی۔ رأتھ لنٛگاوٕنی یا بناوٕنی۔

شَب گرد:-روندٕ وول۔ چوٗکی دَر، ہوش خبردارٕ وول۔ وُزِ تھوٗن وول۔

شب گُزارُن:-راتھ کڈٕنۍ۔ راتَس روزُن (عارضی پأٹھۍ)۔

شباب:-(ن۔مؤل:شَباب<ع:شباب)۔ا۔یاوُن۔ جوانی۔۲۔کھسہٕ وٕنۍ دوہ۔

شَباب یُن:-ا۔یاوُن یُن۔۲۔کھسہٕ وٕنۍ دوہ پھیرٕنۍ۔

شَبانہٕ:-(ف۔شبانہٕ)۔راتی ہٕنزۍ۔روتلہٕ۔

شَباہتھ:-(م۔مؤل:شَباہت<ع:شَباعۃ)۔ا۔شکل۔ بُتھ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) شۆب۔لگیٚگ بانہٕ بیترِ۔ توفیق۔لیاقتھ۔۳۔شکلہِ یا ڈولہِ کنۍ کُنہِ ستی ہشَر۔کُنہِ یا کانٛسہِ ستی رلہٕ وٕنۍ چال۔

شَبِد:-(ن۔مؤل:شَبِد<س:شَبَد)۔ا۔آواز،صدا۔م: مورلی شبدا گواسہِ کنَن۔۲۔لفظ۔۳۔منتھر۔م: گورٕ شَبِد۔۴۔سِکن ہِندِ گرنتھکۍ وٕژن۔

شَبِد برٛہم:-(ن۔مؤل:شَبِد برٛہم<س:شَبَد برٛہمہ)۔ ا۔سہ گیان یُس شَبدَن منٛز آسہِ۔دٟیہ سٕنز زان۔ ۲۔شَبِد یُس برٛہم (یانے ذاتِ مُطلق) سُند رٕپھ چھُ۔

شبنم:-(ن۔مؤل:شبنم<ف:شبنم)لو۔سۆر دَگ۔پاں قطرٕ یم صُبحکہِ وقتہٕ سبزارس پێٹھ ناپاں چھُ آسان۔

شَپَتھ:-(ن۔مؤل:شَپَتھ<س:شَپَتھ)۔قسم۔حلف۔

شَپَتھ کھیوٚن:-حلف تپلن۔قسم کرُن۔

شَپَتھ ہیوٚن:-حلف تُلُن۔

شَپوش:-(ن۔مؤل: شَپوش <ف: شَب + پوش) روت پلو۔نایٹ سوٗٹ۔

شپوش وۆر:-رَضایہ وۆر۔غِلاف (لیفہٕ بیترِ ہنٛز)

شَتٛوٗہ:-(<س:شَڈ وِشَتہِ)۔وُہ تہٕ شےٚ ژٕ ژٕ کہ تہٕ شےٚ۔

شَتھ:-(مؤل:شَت<س:شَتَہ)ہتھ۔داہ ژٔکۍ۔

شَتایو گتایو:-ا۔(ل۔م):اکہِ طرفہٕ ہَتھ یُن تہٕ بیٚیہ طرفہٕ ہَتھ گژھن۔۲۔آسُن بسُن بَنُن۔دیا رُن ژھوہ دیُن۔دیا رَن یایم کرُن۔

شَتایو گتایو کرُن:-آسُن بسُن بٔنتھ ژھوہ دِنۍ۔ پوٚنسس ٹِنٛکس چھلا وَلا کرُن۔

شَتہٕ موٗن:-(ن۔مؤل:شَتہٕ من<س:شَتہ+ف: مَن)(ورگہٕ پأٹھۍ) وأنجہٕ کرُہن۔دِلہٕ دوٗر یَس اَثر گژھِنہٕ۔

شَتہٕ مور:-(ن۔مؤل:سَتہٕ مار<س:شَتہ+مار)۔ ا۔ییمۍ ہَتَن ہِندۍ ہَتھ مأرۍ ہتی آسَن۔ظالم۔ ظلمگار۔۲۔یُس ژکھ ہتھ بیٚہہٕ۔

شَٹر کاک:-(ن۔مؤل:شَٹر کاک<انگ:شَٹل کاک Shuttle cock)سُہ تیٖر گوٚند یتھ بیڈمنٹنس بیترِ منٛز چال بیٚٹہٕ ستی گندان چھُہ۔

شَٹل:-(ن۔مؤل:شَٹل<انگ:شَٹل:Shuttle) ا۔ہسہٕ مشینہٕ بیترِ ہُند سُہ اوزار یُس بوٗنیم پَن چھُ کھاران تہٕ کپرس نہبر گن ڈکہٕ چھُ دِوان۔۲۔موٗک

شَجر:-(ن۔مؤل:شَجر<ع:شَجر)۔ا۔پیٚڑ وٕتھر۔نسب نامہٕ۔ کولاؤلی۔۲۔سلسلہٕ(خاندانک)۔۳۔سُہ لٹھ

یَتھ پٹھ زٔمینکۍ خسرٕ نمبر دَرج چھ آسان۔

شَجرَ ے ,کشتواڑ:-وُچھِو "شَجر" مانے۲۔

شَجرَ ے نَسب:-وُچھِو "شَجرٕ" مانے۱۔

شَجرٕ کڈُن:-نَسب نامہِ مۆجوب خاندانٔکی سِلسلہٕ نٔو راوُن۔

شَجرٕ گش:-بۆنہٕ بتس اَندر اَکھ مُلازِم یُس زٔمینہٕ ہُند کھیتہٕ وار بناوان اوس۔

شَخص:-(ن۔مؤل:شَخص <ع:شَخص) زوٗن یازٔنی۔

شَخصیتھ:-(م۔مؤل:شَخصیت<ع:شَخصیة)۔ اِنسانہٕ سنٛز خصلتھ تہٕ رُتبہٕ بیترِ یِمہٕ سٟتۍ تسٕنز اَنٛدرِم حالتھ نَنہٕ۔

شَخصی:-(مؤل:شَخصی<ع:شَخص+ی)۔۱۔ اَکی سُنٛد۔ اِنفرادی۔۲۔ ذاتی۔

شَخصی حۆکوٗمتھ:-اَکی سےٚ زٔنی سُنٛد راج۔بادشاہَتھ۔ سو حۆکوٗمتھ یَتھ منٛز عام لۆکھ شَر یکھ آسَن نہٕ۔

شَخصی نِظام:-وُچھِو "شَخصی حۆکوٗمتھ"۔

شَداد:-(ن۔مؤل:شَداد <ع:شِداد)۔۱۔ سبٹھاہ پرٛانہٕ زَمانہٕ کِس اَکِس (باجرٕوتھ) بادشاہ سُنٛد ناو۔ دَپان اَمی اوس (مصنویِی) جنَتھ بنوومُت۔۲۔ زَبردس بُہوٗدُر۔۳۔ ظالِم۔

شَداٗدِل:-بُہوٗدُری۔روب داب۔زُبدٕگی۔

شَداٗدِل وَنٛنی:-بُہوٗدُری تھکنٕی۔دابہٕ دِنی۔

شَدمَد:-(<ع: شدمدّ)۔دَبدبہٕ۔چِکہٕ چاو۔ پھۆل پھال۔

شَدٕ مَدٕ:-چِکہٕ چاوٕسان۔پھِٹہٕ پھِٹہٕ سان۔

شَڈا۔ہ:-(<س:شَڈ)۔شےٚ۔م:شَڈموس۔

شَڈا کھر:-(<ع:شَد+اکثر)۔شےٚ اَچھرٕ وول۔ اوم نَمہٕ شِواے۔

شَڈ بَل:-(ن۔مؤل: شَڈبَل <س: شَڈبلہ) کانٛسہِ ہنٛزٕ زِندگی پیٹھ شَن گرٕیہد بن ہُنٛد زور۔

شَڈ دَرشَن:-(ن۔مؤل:شَڈ دَرشَن <س: شَٹ دَرشَنہ)۔ہِنٛدٕ بن ہِنٛدِ فلسفکۍ شےٚ دٕبستان۔

شَڈموس:-(ن۔مؤل:شَڈ ماس<س:شَڈ+ماسَہ)۔ شیٚیم ماہوار،اَمیُک شرٛاد۔

شَڈ۲:-(ن۔مؤل:شَڈ <اَنٛگ:شَڈ Shed) چھپَر۔ گان بیترِ (گُپَن ہنٛدِ باپتھ)۔

شَڈٕ:-(مؤل:شَڈ) (اَچھ ہُنٛد) پۆہ۔

شَڈکون:-یُس اَکِس اَچھ پۆہ آسہِ۔

شَڈِ باشہِ:-(ن۔مؤل:شَڈ باش <س:شَبد+بھاشا) شُری سنٛزٕ کِھکھرٕ،شُری باشہِ۔

شَڈ بۆلی:-(<س:؟شَبد+ہ۔بولی)۔جاناوار بۆلی۔ جاناوارَن ہنٛزٕ بول باشہِ ہُنٛد مانے۔

شَر۱:-(ن۔مؤل:شَر <ع:شَر)۔۱۔ اَرمان۔تمنا۔ ۲۔بدی۔۳۔تکلیف،سختی،عذاب۔

شَر پَسند:-فِتنہٕ تُلَن وول۔فسادی۔فساد پھُٹُل۔

شَر تھاوُن:-ارمان تھوَن،تمنا تھوَن۔

شَر روزُن:-(وَرگہٕ پاٹھی) اَرمان روزُن، تمنا

روزُن۔خارٕ روزُن۔کیٚل روزُن۔

شَرژُلُن:-۱۔اَرمان نیرُن۔کانٛہہ ترٛٹھ کتھ بامَل ترٛنہٕ یوسہٕ نہٕ واریاہہٕ کالہٕ پتھ اَندان آسہٕ۔شوق پوٗرٕ گژھن۔۲۔(ورگہٕ) شیہلتھ پیٚنۍ۔خوش گژھن۔

شَرکرُن:-تکلیٖف واتناوُن، زَکھ واتناوُن۔دوکھ دیُن۔دَدارٕ واتناوُن۔

شَرگژھن:-۱۔اَثر گژھن۔۲۔اَرمان سورُن۔تمنّاہ نیرُن۔شَر روزُن۔۳۔دوکھ سپدُن۔تکلیٖف واتُن۔۴۔کاژھ ووتھن، دِق ووتھن۔۵۔کانٛسہٕ بَدی گژھنۍ۔

شَرنیرُن:-شوق پوٗرٕ سپدُن، اَرمان برابریُن۔

شَرواتُن:-۱۔تکلیٖف واتُن، دوکھ واتُن۔دَدارٕ واتُن۔۲۔کانٛسہٕ بَدی گژھنۍ۔

شَرہیتھ گژھن:-کانٛہہ شوق یا اَرمان پوٗرٕ گژھنہٕ بروٚنٛہہ مَرُن۔اَندری اَرمان ہیتھ مرُن۔

شَر۲:-(ن۔مؤل:شَر <س:شَرَ)۔کان تیٖر۔

شَرح:-(ن۔مؤل:شَرح <ع:شرح)۔۱۔وَکھنَے۔۲۔دَر۔مول۔باو۔نرخ۔

شَرح کرُن:-تفسیٖر کرُن۔وَکھنَے کرٕنۍ۔کھولاُتھ کانٛہہ کتھ باوٕنۍ۔

شَرع:-(ن۔مؤل:شرع <ع:شرع)۔اِسلٲمی قونوٗن۔شریعت۔

شَرع پالُن:-شریعتس پتھ پکُن۔

شَرع محمدیؐ:-شریعت۔

شَرآے بیزارٕ (شَرعی بیزار):-کھلہٕ ڈُلہٕ پاجامہٕ یُس مُرتنگ آسان چھُ۔

شَرعَس (شَرہَس) تہٕ شَرمے کیا:-یہ پوٗز آسہِ یا یہ حق آسہِ تتھ منز گژھہ نہٕ کھوژُن۔جاےٚ حق ژھانڈنس منز پزنہٕ وایہ کرُن پزِس کھوژنُے کیا۔ یہ کھسہِ یا واتہ تہٕ منگنس کیا زِگری زِنہٕ ہمتھ۔

شَرعَک (شَرہَک) سوٗتھ:-مُقررٕ اِسلٲمی قونوٗن۔مُسلمانَن ہُند قونوٗنی نِظام۔

شَرَن:-(مؤل:شرن <س:شَرنہ)۔۱۔پناہ۔بچاو۔۲۔چھپَن جاے۔پناہ گاہ۔

شَرَن روزُن:-سایَس تَل روزُن۔پناہ ہیوٚن۔

شَرَن سپدُن:-وُچھو ''شَرن روزُن''۔

شَرَن گژھن:-کُنہِ جایہ یا کانٛسہِ نِش چھپنہِ گژھن۔پان پشرُن۔

شَرَن یُن:-سایَس تَل یُن۔کانٛسہٕ ہُند اتھہٕ روٹ ژھارُن۔کُنہِ جایہ چھپنہٕ یُن۔

شَراب:-(ن۔مؤل: شَراب <ع: شَراب)۔مَس۔مَے۔

شَرابِ طہور:-جَنتُک شَراب۔سُہ شراب یُس دَیہان چھہ جنتین میلہٕ۔

شَراب خانہٕ:-۱۔سو جاے یتہٕ شراب کڈنہٕ یا تیار آسہِ کرنہٕ یوان۔۲۔شراب چیٚن جاے۔اَلتھان۔

شَراب کھُسُن :- نَشہٕ کھسُن۔ اُچھَن کھسُن۔ مَد لگُن۔
شَراب لگُن :- ا۔ شَراب چیٚتھ مَتُن۔ شَرابکہِ نَشہٕ سِتۍ اورُک یور وَتُن۔ ۲۔ مَد کھسُن۔ کبر گژھُن۔ اَہنکار گژھُن۔
شَراب وان :- شراب خانہٕ۔ شَراب کُنٕنۍ جاے۔ شراب کِننگ دُکان۔ یَتھ دُکانس پیٚٹھ شراب کِننہٕ آسہِ یِوان۔ اَلتھان۔
شرارَتھ :- (ن/م۔ مؤل: شرارت <ع: شَرارۃ) غوصہٕ۔ ژکھ۔ کرٛوٗد۔
شرارَتھ چھانٹُن/ چھانٹٕنۍ :- کانٛسہِ پیٚٹھ ژکھ ہوٗمراوِنۍ۔ کانٛسہِ پیٚٹھ غوصہٕ واٹُن۔
شرارَتھ کھسُن/ کھسنۍ :- غوصہٕ کھسُن۔ ژکھ ینۍ۔
شرارتہٕ ہوٚت :- ا۔ سُہ یُس غوصہٕ کھوٚتمت آسہِ۔ ۲۔ شرارتہٕ سان۔ ژکھہِ سان۔
شَرائتی :- یُس ژٕلۍ غوصہٕ کھسان آسہِ۔ ترٛوٚش تہٕ تیز مِزاز انسان۔
شَرافتھ :- (م۔ مؤل: شرافت <ع: شرافۃ)۔ ا۔ حلیمی۔ طمٕ ییتھ نَرمی۔ ۲۔ اصل ذاتی۔ اُصلی۔
شَراکتھ :- (م۔ مؤل: شَراکت <ع: شَراکۃ)۔ حصہٕ داری۔ باگ وَتھ۔ اکہٕ کھوتہٕ زیادٕ لُکن ہُند یکوٹہٕ کانٛہہ کار بار بیتر کرُن۔
شراکتھ کرِنۍ :- دوٚیمِس یا دوٚیمین سٍتۍ رٕلِتھ کانٛہہ کامٕ کرِنۍ۔ دوٚیم زٕون حصہٕ دار بناوُن۔

شراکتھ نامہٕ :- سُہ دستاویز یَتھ شُری کانٛسِہ شَرط دَرج آسَن۔
شَراکژہُنٛد مال :- سُہ مال یَتھ وار یاہ مالِکھ آسَن تہٕ مالِکھ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ لاگِتھ۔
شَرایہٕ ذال :- لوٗکن تَل ووزُم رَقَم۔
شَرابی :- (ع: شَراب + ف: ی)۔ ا۔ شَراب چَنہٕ وول۔ یُس شراب چوان آسہِ۔ ۲۔ ووزُل۔ شرابکہِ رَنگہٕ۔
شَرط :- (ن۔ مؤل: شَرط <ع: شرط)۔ ا۔ بَے۔ ۲۔ سو کتھ یَتھ پیٚٹھ بیا کھ کتھ ڈٕرِتھ آسہِ۔ پابٔندی (کتھ بیتر ہٕنز)۔
شَرط آسُن :- کُنہِ چیزٕچ یا کتھ ہٕنز پابٔندی آسٕنۍ۔ کانٛہہ چیز لازِم آسُن۔
شَرط ہیُن :- بَے ہیُن۔
شَرط کرُن :- بَے کرُن۔
شَرط کھسُن :- شَرطہٕ زیُن۔ ہارُن۔
شَرطس ہیُن :- بیَس ہیُن۔ بَے لگاوُن۔
شَرطاشَرطی :- دوشوٕے طرفو بَے ہیُن۔
شَرف :- (ن۔ مؤل: شَرف <ع: شرف)۔ بَجر، تھزر، صِفتھ۔ یزتھ۔ مَرتبہٕ۔ شوٗب۔
شَرف آسُن :- (اُکس بییہٕ ہٕندِ کھوتہٕ کانٛہہ تھوٚد) صِفتھ آسُن۔ وَصِف آسُن۔
شَرف زانُن :- (اُکس بییہٕ ہٕندِ کھوتہٕ کانٛہہ تھوٚد)

صِفتھ زانُن یا مانُن ۔ بَجر زانُن ۔

شٔرم :-(م۔مؤل: شَرم ح ف: شرم) ۔لزا۔ منٛد چھ ۔ حیا ۔

شٔرم بُرتھ کھینٛی :- کانٛسہِ ہُنٛد حیانہٕ روزُن ۔ بےٚ منٛد چھ بَنُن ۔ لحاظہٕ نہٕ روزُن ۔

شٔرم تِلتھ تھٲوِنۍ :- بےٚ منٛد چھ لاگُن ۔ بےٚ حیأیی کرٕنۍ ۔

شٔرم دار :- ۱۔ یَس لحاظہٕ آسہِ ۔ یَس حیا آسہِ گژھان ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) شُریف ۔

شَرم دار کران شٔرم ، بےٚ منٛد چھ دَپان یہ رۄ دُم کھۄ ژِتھ :- تہٕ دُپتھ گو خراب انسانس ہرگاہ یتھے نرمی ترأوی زٕ سہٕ چھُ پتہٕ نکھس کھسان ۔

شَرمسار :- شَرمنٛدٕ ۔ خجل ۔ چھتہٕ ۔

شٔرم کرٕنۍ :- ۱۔ لزاہنۍ ، منٛدٕ چھُن ۔ نۆن نہٕ نیرُن ۔ ۲۔ سختی اَنٛدر راُستھ اَنٛدری ژٲلُن ۔

شٔرم گژھنۍ :- منٛد چھُن ۔

شٔرم ہنۍ :- منٛد چھُن ۔ منٛد چھ گژھنۍ ۔

شَرمہِ کٔٹر گژھُن :- سخ شٔرم ہنۍ ۔ شٔرم گژھنہٕ کنۍ نہٕ کانٛہہ کتھ وَنتھ ہیکنۍ ۔

شَرمہِ مَرُن گژھُن :- شٔرم ہنہٕ کنۍ نہٕ کینٛہہ وَنتھ ہیکُن ۔ اَنٛدری ہیوٚن ۔

شَرمہِ وۄلوٚت :- شٔرم دار ۔ حیابَنٛد ۔

شَربَتھ :-(م۔مؤل: شَربتھ ح ع: شَربت) ۔ ۱۔ رَس بیترِ رَلأوِتھ ترٛیش ۔ شیر ۔ ۲۔ دَوا چیز گژکہٕ ناوِتھ تِمن ہُنٛد رَس ۔ آلبس منٛز گژکہٕ ناوِتھ بوٚنِن ہُنٛد رَس ۔

شَربتھ کوٚش :- شَربتھ چیزن رَس بیترِ کڈِتھ پتھ کُن رۄ دمُت نا لگہار ماد ۔

شَرطَل :-(م۔مؤل: شَرطَل ح ع: شَرط + اَل) ۔ چھتَل تِم پونٛسہِ یِم منٛز یم شخص یٚس بہَن والین ہِنہٕ ۔ تِم پونٛسہٕ یِم زار گنٛدان گنٛدان تِمس شخصس دِنہٕ ہِن یُس زارس گنٛدان آسہِ نہٕ مگر زار بن خدمتھ بیترِ کران آسہِ ۔

شَرطَل ٹُلنۍ :- چھتَل ٹُلنۍ ۔ زارس منٛز زینہٕ منٛز پانس کُیت کینٛہہ ہیوٚن ۔

شَرطِیہ :- یتھ کانٛہہ پابنٛدی آسہِ ۔ یتھ گوڑ کانٛہہ چیز لازِم آسہِ ۔

شَرکتھ :-(م۔مؤل: شرکت) ۔ حِصہٕ نٮ۪ن ۔ شُریک سپدُن ۔ شۆمۆلیتھ ۔

شَرکتھ کرٕنۍ :- شۆمۆلیتھ کرٕنۍ ۔ شامِل سپدُن شریک سپدُن ۔

شَرمنٛدٕ :-(مؤل: شَرمنٛد ح ف: شَرمنٛدہ) ۔ ۱۔ خجل منٛد چھومُت ۔ یُس کینٛہہ تیُتھ کرِ ییٚمہِ کنۍ سہٕ کانٛسہِ کُن اَچھ تُلتھ ہیکہِ نہٕ ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) اِحسان مَنٛدٕ ۔ شُکر گُذار ۔

شَرمنٛدٕ تھٲوُن :- پرٛنہٕ پیٚٹھی اِحسان کرُن ۔ یور کہِ بجایہ اور بے جأیی کرٕنۍ ۔

شَرمنٛدٕ کرُن :- ۱۔ خجل کرُن ۔ ۲۔ اِحسانس تل کرُن ۔

شَرمنٛدٕ گژھُن :- خجل گژھُن ۔ بُتھس کُن نہٕ وُچھتھ

ہیکَن ۔منٛد چھُن پیوان۔

شَرمنٛدٕگی:-١۔ منٛد چھ۔ خجل ژٕدی ۔خجالتھ۔
٢۔احسان مٔندی۔

شَرمنٛدٕگی تُلنۍ:-خجِل ژٕدی گژھنۍ چھِتہٕ گژھن۔

شَرمہٕ گاسہٕ:-(ن۔مؤل:شَرمہٕ گاس) اکہٕ بوٗٹہٕ ہُند ناو۔

شَرناگتھ:-(مؤل: شَرناگت <س: شَرناگتہ)۔
یُس شَرن ییہِ۔یُس پناہ منٛگہِ۔چھپنہٕ آمُت۔

شرٛپتھ:-(م۔مؤل:شرٛپَت <س:شرٛپ+تو)۔
١۔ہاضمہٕ۔٢۔پڑاپتھ۔کانٛسہِ ہنٛز کتھ وپٕنۍ یا
ژٕمنۍ۔کانٛسہِ ستی حوالی ہتھ آسنۍ۔

شرٛپُن:-(ن۔مؤل:شرٛپ <س:شرٛپنہٕ)۔١۔پچُن۔
ہَضم گژھن۔٢۔وپُن۔بہُن۔وبٕژن۔ژلُن۔
٣۔کانٛہہ ترَل چیز گَنہِ ژٕمُن۔جذب گژھن۔
٤۔ژوٗر ِمال یا لوٗٹہٕ مال بیترِ وپُن یا کھینہٕ یُن۔

شرٛپہ وُن:-١۔یہ ہَضم گژھن لایق آسہِ۔یہ جَل
جَل شرٛپہ۔٢۔بہُن لایق۔پژھ کرُن لایق۔
وپہہ وُن۔

شرٛپ شرٛپ گژھن:-١۔وُچھان وُچھان جذب
گژھن۔شرٛپِس نہٕ تارِ لگنۍ۔٢۔(ورگہٕ
پاٹھی) وَنان ونانے مُشتھ گژھن۔کٔنۍ پٔتۍ گژھن۔
٣۔شَرمہٕ ستی گلُن۔گٕلی گٕلی گژھن۔

شرٛدا:-(م۔مؤل:شرٛدا <س: شرٛدھا)۔باونا۔پژھ۔
عقیدٕ۔یقین۔عقیدتھ۔

شرٛم:-(ن۔مؤل:شرٛم <س:شرٛمہٕ)۔١۔میحنتھ۔
مشقتھ۔٢۔تھکُن،لوٗسُن۔پھٹُن،مَس۔

شرٛم اژُن:-سخ تھکاوٹھ گژھنۍ۔مُس اژُن۔

شرٛم کرُن:-سخ میحنتھ کرٕنۍ۔جکھن۔

شرٛمُن:-(<س:شمنہٕ)۔مدٕوسُن۔ہمُن۔ژمُن۔

شرٛنٛڈ:-(ن۔مؤل:شرٛنٛڈ <س:شنٛڈ)۔١۔مانٛشہٕ
کوت۔سرٕنڈ۔٢۔(ورگہٕ پاٹھی) مُشٹنڈ۔
٣۔دَرمہٕ داند،باڈٕ بوٚڈ داند۔

شرٛنٛڈن ہنٛز لڑٲے گیہِ زَنٛڈن ہنٛز شہمتھ:-تہٕ
دٕپتھ گو بڈٕی بڈٕی اگرپانہٕ وانۍ ژوٗن تمیُک نوقصان
چھُ لوکٹین تُلُن پیوان۔

شرٛنٛڈ ہَر:-١۔مانٛشہٕ کٹین ہنٛز ٹھولہٕ ٹھول۔٢۔دون
باڈٕ بڈٕین انسانن ہنٛز غنٛڈ لڑٲے۔مُشٹنڈن ہنٛز
لڑٲے۔٣۔بڈٕین مُہنوٕین ہنٛز ٹھوسہٕ ٹھوس۔

شرٛنز:-(ن۔مؤل:شرٛنز <س: سَنٛدنشہٕ)۔١۔کھارس
بیترِ سُنٛد شُسترٕ و اکھ سامانہٕ ییمہِ ستی سُہ شُسترٕس
دٕگنہٕ بیترِ وِزِ تھِھ چھُ کران۔٢۔سُہ آلہٕ ییمہِ ستی
کٕیل بیترِ کڈٕتھ انۍ زبن۔زومبُرٕ۔٣۔ونٛد کڈٕنک
ڈاکٹر سُنٛد پلاس چالہٕ سامانہٕ۔

شرٛنگ تہٕ برٛنگ وَننۍ:-(وَرگہٕ پاٹھی) فٔندتہٕ فریب
وَننۍ۔کتھ سیوٗد سیوٗد نہٕ وَننۍ۔اپُز مپُز وَنُن۔م:
شالی تارکھ ہاونۍ۔

شرٛو:-(ن۔مؤل:شرٛو <س:سرٛو)۔سرٛو وول۔نیک

زوٚد۔ ہرٛنہِ پٔتِس سوٚمب زوٚد۔ یِہٕرکی گنہِ چیزس وَتھ آیہِ لۭجمہٕ۔

شرٛول:۔ گدٕی دار۔ یتھ ژدی گاشتی آسن۔

شرٛوَن:۔ (ن۔ موٗل: شرٛوَن <س: شرٛوَنہَ) کتھا یا واعظ بیترٕ کرُن یا بوزُن۔

شرٛوٗن¹:۔ پیدٕن۔ نیرتھ ژٕلُن (بأنس بیترٕ)۔

شرٛوٗن²:۔ (ن۔ موٗل: شرٛو <س: شرٛوَنہ) ۱۔ ترٛن تارکن ہنٛز یکہِ وَتہٕ ترٛومبرٕ۔ ۲۔ ژٕندرمہٕ سُند اکھ گرٕ۔

شرٛادٕ:۔ (ن۔ موٗل: شرٛاد <س: شرٛاددھ)۔ مورد ہٕندی نأوٕ عقیدتکہِ اِظہارُک رٕسم۔

شرٛاد بَتہٕ:۔ پیٛنڈ بناونہٕ خأطرٕ دٕہم ہند بَتہٕ۔

شرٛادِفاقہٕ:۔ شرٛادک دوہ۔ شرٛاد ہاوَن وأنۍ سُند وٕرتھ۔

شرٛادمیٛٹ:۔ تھپہٕ تھار ہاونہٕ آمُت شرٛاد۔ یِمیں شرٛاد باثبرٕ باثبرٕ ہاونہٕ یِیہِ۔

شرٛادکرُن:۔ شرٛادک رٕسم پوٗرٕ کرُن۔ شرٛاد ہاوُن

شرٛاد ہاوُن:۔ شرٛاد کرُن۔

شرٛاکھ:۔ (م۔ موٗل: شرٛاک <س: شَلاکا)۔ داثو یا مسالُک دارِ دار آکہِ یِیمہٕ ستی ژٕٹان، نِکران یا ماران چھِ۔ سُہ چیز یِیمہٕ ستی بج بیترٕ مازنکران چھِ۔ کھٕش کرنُک اکھ آلہٕ۔

شرٛاکہِ تہٕ مازس کیا واد واد:۔ تہٕ ذٕیتھ گو ماتحتس کیا چلہِ افسرس نِش۔ زوراوارس نِش کیا پکہِ کمزورس۔

شرٛاکہِ کھٔنٛڈ:۔ کھٔنٛڈی پھٹ شرٛاکھ۔

شرٛاکہٕ پچ:۔ سیٛن بیترٕ ژارنہٕ باپتھ کھوٗری چالہِ لوٗکُٹ شرٛاکھ۔ (شرٛاکھ لفظُک ژھوٹرٕ)۔

شرٛاکہٕ پچ ژھبنبر:۔ پھٕٹمُت شرٛاکہٕ پچ۔ مونڈ یومُت نالگہِ ہار شرٛاکہٕ پچ۔

شرٛاکہِ پچ کھٕش:۔ کانٛہہ لوٗکُٹ جاناوار (ککو بیترٕ) شرٛاکہٕ پچہٕ ستی مارُن۔

شرٛاکہٕ پچ کھار:۔ شرٛاکہٕ پچ گرن وول کأری گر۔

شرٛاکہٕ پچ گاڈٕ:۔ سَمہِ گاڈٕ۔ نچہٕ گاڈٕ۔

شرٛاکہٕ وَسنہٕ:۔ ۱۔ (کینٛہہ سوٗرِتھ) جگر ژھٕنُن۔ دٕگ ووٗتھٕنۍ۔ شیہتھ نہٕ ہکُن۔ برداش نہٕ گرٕھن۔ ۲۔ سَخ آرٕیُن۔

شرٛاکھ وأنٛنۍ:۔ ۱۔ شرٛاکہِ ستی کھٕش کرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سَخ زَکھ واتناوُن۔ سَخ دٕدارٕ کرُن۔ تیُتھ کینٛہہ کرُن یہٕ ژٕلُن مُشکِل آسہِ۔

شرٛاکھ وانٛنۍ:۔ ۱۔ شرٛاکہِ ستی ژٕٹُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) دوٚن دربن منٛز پھاس ترٛاوُن۔ دوٚن جُدأیی کرٕنۍ۔ ۳۔ وٕژوت دیُن۔

شرٛان:۔ (ن۔ موٗل: شرٛان <س: سنٛانہ)۔ ۱۔ ہیٚرٕ بوٚن پان چھلُن۔ ۲۔ کانٛہہ رٕیتھ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ جسمس آب چھاوُنک رٕسم۔ م: گنہِ شرٛان۔ مورد سُند شرٛان۔ ۳۔ (گنہِ ترٛل ماوٕ ستی وُژھمٕژ) چھپر۔ م: گمہٕ شرٛان۔

شڑانہٕ پٹھ:-سوٗج یا کپر چھل یوسہٕ لنگوٗٹہٕ بدل لاگنہٕ پھےٚ یوان۔

شڑانہٕ پٹ:-سُہ تختہٕ یتھ پٹھ موردس شڑان چھِ دوان۔

شڑانہٕ دیگ:-۱۔سُہ بانہٕ یتھ موردس شڑان دِنہٕ باپتھ پوٗنی تھوان چھِ۔۲۔سُہ بانہٕ یتھ کیتھ موردس شڑان دِنہٕ باپتھ پوٗنی تھوان چھِ تڑاوان۔

شڑانہٕ کُٹھ:-۱۔شڑان کرنہٕ باپتھ ؤلتھ جاے۔ غوسل خانہٕ۔۲۔شڑان کرنہٕ باپتھ کولہِ منٛز پچِھن ہنٛز بناوِمٕژ جاے۔

شڑانہٕ گر:-پیشہِ ورزنانہٕ یوسہٕ موٗمٕژ زنانہِ شڑان دِوان پھےٚ۔

شڑانہٕ گوٗر:-پیشہِ ورمردیُس موردس شڑان چھُ دِوان۔

شڑانہٕ ووٗنی:-سُہ پوٗنی یمہٕ ستؠ موردس شڑان دِنہٕ چھُت آسہِ۔

شڑان دِین:-موردس پان چھلُن۔

شڑان سوٗندر:-لوسہٕ صفاییٖ تہٕ ساز کرنُک رَسم۔

شڑان کرُن:-آب شیرُن۔پوٗنی لدُن۔غوسل کرُن۔

شڑان گرٕھن:-گمہٕ ٹھینچِہٕ وٕسنی۔سُری گرٕھن۔

شڑانبر:-(ن۔موٗل: شڑانر>س: شُلکشنہٕ) سڑیہہ۔ اُدریر۔کرٛشار۔کیٖنبر۔

شڑاوے:-وچھِو ''شاوے''۔

شڑاوِنی:-شڑاوِنِکس رٕتس منٛز۔

شڑاوُن:-(ن۔موٗل: شڑاون>س: شڑاونہٕ) ہندوستانٕی وٕری ہُند ژوٗریم رٕتھ۔بکرمی وٕری ہُند یہٕ رٕتھ چھُ انگریزی وٕری ہِکس جُلے اگستس ستؠ واٹھ کھوان۔

شڑاونہٕ پنٛم:-شڑاونہٕ زوٗنہٕ پچھُک اُخری دوہ، اَمہِ دوہہٕ چھُ اُمرناتھ گوپھایہِ منٛز درشُن سپدان۔ شڑاونٕچ ژودا ہم زوٗن۔

شڑٕ پراوُن:-ہضم کرُن۔۲۔ژالُن، برداش کرُن۔ اَنٛدرٕ وتراوُن۔۳۔ژومہٕ راوُن(گژھہِ بیترِ اَنہٕ ستؠ)۔۴۔یَپ کُرِتھ گوٗش دِین۔ ۵۔(ہزلہِ) کھیتھ چیتھ دَمالہِ کرنہٕ۔

شڑٕ پرُن:-۱۔ہضم کرُن۔۲۔گُشس ستؠ کُرِتھ کھیوٗن۔ ۳۔جذب کرُن۔ژومراوُن۔

شڑٕ مراوُن:-(ن۔موٗل: شڑٕ مراو>س: شمتہٕ) مَدٕ والُن۔ہمراوُن۔ژومراوُن۔

شڑٕ نڈ:-(م۔موٗل: شڑٕ نڈ)۔کانٛہہ چیز تھوٗنٛچ زٕٹھ تہٕ تنگ دانٕی۔سورمہٕ دانٕی۔

شڑانٕی:-(م۔موٗل: شڑانی>س: شُلکشنہٕ) روٗدٕ جُری۔ سبٹھاہ زیادٕ روٗد۔

شڑانہٕ وَسنہِ:-سبٹھاہ سخ روٗدٕ دوالُن۔واریاہ روٗد لاگُن۔

شڑانوشڑانو:-غلبہٕ پاٹھی۔یٕژپاٹھی۔

شڑانٕی لاگنی:-روٗدٕ جُری لاگنی۔سخ روٗد پیوٗن۔

شڑٕ ٹھن:-وچھِو ''شٹھن''۔

شڑٕ نگار:-(ن۔موٗل: شڑٕ نگار>س: شڑٕ نگار) سِنگار۔

ساز۔ پآراو۔

شرٛنگارٕرَس :۔شاعری منٛز رۄمانی لذتھ، رۄمانی تاثر۔ لولہٕ رَس۔

شرٛنگارٕی :۔لولہٕ موٚت یا لولہٕ مُژ۔ عاشق مزاج۔

شرٛی :۔(مۄل: شرٛی <س: شرٛی)۔ ا۔ لکھمی یا آسنچہٕ بسنچہٕ دیوی ہُند ناو۔ شوٗب۔ ۲۔ شاندار، پھرٛوٗژ۔ یَژ تہٕ وول۔ ۳۔ جناب یَژ تہٕ پۄژھی ناوَن ستی گوڈٕ یوان۔ م: شرٛی رام۔

شرٛی دوہ :۔(ن۔ مۄل: شرٛی دوہ <س: شرٛی+ دِوس)۔ رُت دوہ۔ بۄڈ دوہ۔ چھُٹی دوہ۔ شوب دوہ۔

شرٛی بَٹھ :۔(ن۔ مۄل: شرٛی بَٹ <س: شرٛی بھٹہٕ) بڈشاہ سٕنٛدِ وقتُک اکھ مشہوٗر ویدہ۔ یہ اوس بڈشاہس وزیر تہٕ۔

شرٗت :۔(ن۔ مۄل: شرٗت < آوازِ پیٹھ)۔ وُٹھو ستی شاہ کھارِتھ کاژہہ چیز چیٖنٛچ آواز۔

شرٗتہٕ ووٗنی :۔سہ ترَل چیز، شوربہ یا دود بیترِ یُس شرٗت کران یَڈ بُرتھ چیٚنہٕ یِہ۔

شرٗتہٕ وون :۔(<س: شرٗتہٕ + وَت (وان) بوٗزوٗن۔ یُس بوزان آسہٕ۔ م: زٕ ورٕ تہٕ کوٚل شرٗتہٕ وون۔ زٕڈرِ پی آس (لل دید)۔

شرٗتُن :۔(ن۔ مۄل: شرٗت (آوازِ پیٹھ) شرٗت کٔری کٔری چوٚن۔ بتھ پاٹھی چوٚن۔ یُتھ تتھ شرٗت شُرتچ آواز نیرِ۔

شرٗکا :۔(ن۔ مۄل: شرٛک <؟س: شرٛنکھلہٕ)۔ ا۔ تیتھ گنڈ یُس سَہل سَہل مُژرنہٕ ییہ نہٕ۔ سخ چیر گنڈ۔ پھاسی۔ ۲۔ ہٕتس بیترٕ گنڈ گرٛھن۔ بتہٕ نہٕ وسُن۔ ہتھ کھسُن۔ ۳۔ دِلس اَندر گنہٕ قسمُک کھوچر۔ کانٛسہٕ ہنٛز بدظوٗنی۔

شرٗکہٕ پَن :۔سوزآوج ڈوٗر یوسہٕ گنہٕ ٹھیلس بیترِ گلِس نِشہٕ بناوی یتس گیرس منٛز چھےٚ آسان ییمہٕ ستی امیٚک گوٚل بند چھُ روزان۔ گلو گنڈ۔

شرٗکی آسنی :۔پھیرِ آسُن۔ صاف نہٕ وَنُن۔ کتھ کھوٗلتھ نہٕ وَنٕنی۔ اَندرِی گنڈ آسنی۔ دِلس کھوچر آسُن۔

شرٗکہٕ تہٕ گنڈ آسنی :۔وُچھو "شرٗکی آسنی"

شرٗک دیُن :۔چیرِ تہٕ سخ گنڈ ترٛاوُن۔

شرٗک ژھُنُن :۔ا۔ چیر گنڈ کرُن۔ پھاسی ژھنٕنی۔

شرٗک کرُن :۔ا۔ دوٗر گنڈ کرُن۔ ۲۔ پھاسی ژھنٕنی۔

شرٗک لَگُن :۔ا۔ بنٛد گرٛھن، ہینہٕ یُن۔ گنڈ لگُن۔ ۲۔ کھیوٚن چوٚن نہٕ وسُن (کانٛسہٕ ہنٛز ویر) کھنبس گن نہٕ ماژن (خاص کٔرِتھ کانٛسہٕ ہنٛدِ دادِ)۔

شرٗک ہیوٚن :۔چیرِ گنڈُن۔

شرٗک، شرٗوک :۔(ن۔ مۄل: شرٗک <س: شلوکہ) شوٗلوٗکھ۔ ریشن ہُند وونمت بأتھ۔

شرٗکہٕ ژورَم :۔ماگہٕ زوٗنہٕ پچھ ژوٗرِم، امہٕ دوہہٕ اُسکہ پتھ کالہٕ پاٹھ شالاین بیترِ اَند رژانہٕ شرٗبن ٹوٗی ٹوٗی شوٗلوٗکھ بیترِ پرناونہٕ یوان۔

شرٕکی۱:-۱۔ "شرٕک" لفظُک جمع۔۲۔ نٔنٛدرێشٕن کلام۔

شرٕکی۲:-ودان وَدان گاٹٕتی گتی۔ ہکی۔

شرٕکین اَژُن:-سَخ وَدُن۔ وٕدی وٕدی گتی گژھنی۔

شرٕکی لٔگنی:-(وَدان وَدان) ہکی گژھنی، گتی گژھنی۔

شرٛوٗژ:-(مؤل: شرٛوژ < س: شَوچہٕ)۔۱۔ صاف تہٕ پاکھ۔ ۲۔ شوٚد۔

شرٛوٗژی پأٹھی:-شوٚدی پأٹھی۔ لِوتھ ڈُوتھ۔ پاکھ پأکیزٕ پأٹھی۔

شرٛوٗژشرٛون:-موٗنجمت تہٕ نوومُت۔ لوتھ ڈُوتھ تہٕ ماجِتھ۔

شرٛوٗژ کرُن:-۱۔ لِوتھ ڈُوتھ مأجِتھ تأوِتھ تھوٗن۔ ژھیٚنٛڈیأری نہٕ کرٕنی۔۲۔ شود کرُن۔ ژھیٚنٛڈیومُت چیز یا انسان بیٚیہٕ پاکھ کرُن۔

شرٛوژِشرٛانہٕ:-صاف تہٕ پاکھ پأٹھی۔ لِوتھ ڈُوِتھ۔

شرٛوکھ:-وُچھِو "شرٕک۲"

شرٛوٗنٛٹ:-(ن۔ مؤل: شرٛوٗنٛٹ < س: سَموٗڈھ۔ م۔ ہ: سانوٹھا)۔ ثوبٕتھ پوٗرٕ مکمل۔ ژٔٹہٕ واٹہٕ رٔوس۔

شرٛوٗنٹہٕ ٹُر:-نیوٗلے ٹُر۔

شرٛوٗنٛٹہٕر:-ثوبٕتھ آسنٛچ حالتھ۔ مکمل، شرٛوٗنٛٹ سرِ ثوبٕتھ۔

شرٛوپہٕ نکھ:-(م۔ مؤل: شرٛوپہٕ نکھ < س: شوٗرپہٕ نکھ) ۱۔ راماینٕک کردار۔۲۔ راونہٕ سنٛز بیٚنہٕ، أمِس أسی شُپہِ ہی نٔم۔۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) کوکأر دیٚتھ زنانہٕ۔

شرٛوٚد:-(ن۔ مؤل: شرٛد < س: سارِدھم) سرٛوٚدٕ۔ تہٕ یَتھ وارِیاہ شُر یکھ آسن۔ مُشترکہٕ۔ واریاہن ہُنٛد۔

شرٛوٚدگر:-سُہ گرِ یَتھ کُنٕے دیگ دان آسہٕ۔

شرٛودِگرُک پوٚژھ:-تہٕ ڈٕپِتھ گو وارِیاہ (پرٛژھِنس) أسِتھ تہٕ نہٕ خأطرِ واتُن۔

شرٛودیگ لیوٚل چھُ ہونہٕ کھیوٗمُت:-تہٕ ڈٕپِتھ گو یَتھ چیزس وارِیاہ مألِکھ آسَن تَتھ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ ژٕکی دَرلاگان۔ مُشترکہٕ جادادبیترِ چھُ نہٕ واتنہٕ کُنہِ ضایہٕ گژھان۔

شرٛوٚدِل:-شرٕ کوٚت۔

شرٛوکرُن:-(ن۔ مؤل: شرٛوکرن حوٚچھِو "شرٛوکُن) مَنٛڈُن۔ مانٛڈِتھ ژوٚمرٕ اونٛچ حالتھ۔

شرٛوکراوُن:-(ن۔ مؤل: شرٛوکراو < س: سکرشنہٕ) وُچھِو "شرٛوکرُن"۔

شرٛوکرُن:-(ن۔ مؤل: شرٛوک حوٚچھِو "شرٛوکُن") ژوٚمراوُن۔ موٚژراوُن۔ مَنٛڈِتھ پَناہ کَم کرُن۔ ٹیپہٕ دِی دِی پکلو بیترِ تنگ بناوُن۔

شرٛوٚو:-(ن۔ مؤل: شرٛ وٚو < سرٛوا) وومُن ہوٚر۔ ہُن ہوٚر۔

شرٛوژ:-(ن۔ مؤل: شرٛوژ < س: شَوچہٕ)۔ (زَل مَل گرِتھ) پانہٕ ستی صفأیی۔ طہارَتھ۔

شرٛوژی یور:-۱۔ شرٛوژ کرَن وول۔ ژھیٚنٛڈرٕ نہٕ کرن وول۔۲۔ پزی یور۔ شوٚد۔

شرٛوژ ہیوٚن:-زَل مَل گرِتھ بانہٕ ستی صفأیی کرٕنی۔ طہارَتھ کرُن۔

شڑوڑر:-شڑ ؤڑ آسنٛچ حالتھ۔صفأیی۔شوزر۔پأ کیزگی۔

شڑوڑاڑار:-(ن۔مؤل: شڑ وڑاڑار<س: شو چار چار)طہارتھ۔پانہٕ ستیٚ زنٛچ مٔلچ جاے چھلٕنۍ۔

شڑ وڑ راوُن:-ا۔(ژھیوٚٹ چیٖز) پاکھ بناوُن۔مانٛجناوُن۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی ) آحتہٕ کرُن۔بالہٕ کرُن۔

شڑ وڑُن:-(ن۔مؤل: شڑ وڑ <س: شوچہ)۔
(ژھیٚٹیومُت چیٖز) صاف گرٕھن۔شوٗ دگرٕھن۔
مانٛجہٕ ناونہٕ یُن۔

شڑ وڑیوٗمُت:-صاف گوٚمُت۔ موٗنجمت۔ شوٗد گومُت۔پاکھ کوٗرمُت۔

شڑون:-(ن۔مؤل:شڑان <س:سرٛ وتہٕ )۔ترل۔
سرٛیہہٕ وار۔اوٚڈر۔مِ:شڑوڑِ شڑانہٕ لوٗن۔

شڑوتھ:-(ن۔مؤل:شڑ وت<س:شرٛتہِ)۔
ا۔وید۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی ٹُر۔راد۔

شڑوتھ لانٛنۍ:-ٹُر دأرِتھ دِنۍ۔رادوٕنٛنۍ۔

شڑوتھ وٕنٛنۍ:-رادلانٛنۍ۔ٹُروٕنٛنۍ۔

شڑ وڑھ:-(م۔مؤل:شڑ وڑھ <س:سرٛچ)۔ووٚمن ہوٗر۔ہِمُن ہوٗر۔کاشرِ چالہٕ اَکھ چیٖز یمہٕ ستیٚ گیوٗ تہٕ اَگنہٕ وُترہ۔ونہٕ کونٛڈس منٛز ترٛاوان چھِ۔

شڑ وٕکنۍ:-(م۔مؤل:شڑ وٕکنۍ<س:سمکرشنہ)۔ودان ودان گاٹیٚ گتی۔

شڑ وکنین اَژُن:-وٕدۍ وٕدۍ گتیٚ گرٕھنۍ۔تیوٗت وَدُن یُتھ پتہٕ کھٹھی یِزنہٕ۔

شروکُن:-(ن۔مؤل: شڑوک <س: سمکرشنہ)۔
ا۔ژٕمُن۔اَژُن ( کپُر بیترِ)۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) بیٚہ کنۍ یاپأرکنۍ گوٚت موٚت گرِتھ یُہن۔

شڑ وکیومُت:-ژامُت،ژٕمیوٗمُت (پلو بیترِ)۔

شڑ ونۍ،شونۍ:-(ن۔مؤل:شڑ ونۍ <؟ آوازِ پیٹھ)ا۔رونہٕ وزنٛچ آواز۔۲۔دیٚاروزنٛچ آواز۔۳۔کنوٗمنٛزۍ آب پکنٛچ آواز۔۴۔آوازیوس یہٕ ہوٚکھس مَرِ ڑ وانگنس یا تیل گلس بیترِ چھانَن وزِنیران چھےٚ۔

شڑونہٕ بنگرِ:-بنگر بن ہُنٛد اَکھ قسم۔وزِونہٕ بنگرِ۔

شڑونیاٹونیا:-(ن۔مؤل:شڑ ونیاٹونیا)۔ا۔خَرچا برچا۔۲۔عأشا آراما۔

شڑونۍ دار:-یَتھ رونہٕ بیترِ ترأوِتھ آسَن۔مِ: شڑونہٕ بنگرِ،شڑ ونۍ دارکھوس۔

شڑونۍ شڑ ونۍ:-رونین بیترِ ہنٛز آواز۔

شڑ ونۍ شڑ ونۍ گرٕھن:-رونہٕ بنگرِ یلہِ یہٕ کانٛہہ چیٖز وزُن۔

شڑ ونگ:-(م۔مؤل: شڑ ونگ <س: سرٛنگا)۔
ا۔ہُد۔بالس اپارِ یپور أنٛدرۍ کڈنہٕ آمٕژ وَتھ۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی ) کانٛہہ تنگ تہٕ زیٛٹھ جاے۔
زیٛٹھ گوپھ ہش۔

شَرٕز،شرٕزٕز:-(ن۔مؤل:شرٕز <س:شاردؤلہ)یہہ۔مِ: شرٕ زن پادٕر سٕہن شالَن تہٕ ہرٕنَن ہانگلَن اَندر یوان چھم زِندگی ہُند سوز سفرن منٛزلن اندر۔
(آزاد)

شَش ا:- (ن۔مؤل: شَش < س: شِشیہ) ژاٹھ۔ چیلہٕ۔مُرید۔

شَش ۲:- (مؤل: شَش < ف: شَش)۔شےٚ۔

شَش بٔرگ:- جاٗفری پوشَن ہُند اکھ قسم یتھ صِرف اَندی اَندی پوشہٕ وٕتھر آسان چھہِ۔

شَش پَنج:- (مؤل: شَش پَنج < ف: شَش پَنج) تذبذب۔رۆبۆدگی۔حاٗراٗنی۔

شَش پنجس گژھن:- راوُن۔حاٗرتن گژھن۔ اَتھ وَتھہ نہٕ تَنٛز۔فِکرِ نہٕ ترُن ژِ کیا کرِ۔م: ترن تہٕ ترٕہن گژھن۔

شَش پہلو:- (ف۔شَش+پہلو)۔ا۔یتھ شےٚ طرف آسَن۔۲۔باغَس منٛزٕ گلی لاگنُک اکھ خاص طٔریقہٕ، اَمہِ طٔریقہٕ کٔنی چھہِ کم ژٕمینس ژٕری گُلو وَدَنہٕ یوان۔

شَش رَنٛگ:- کاٗشرِ شاٗیری ہُند اکھ شاہکار۔ رَحمان ڈاٗرٕنی اکھ نظم۔

شَشماٗہی:- شیٚہہِ ریٚتی۔شیٚہہِ شیٚہہِ ریٚتی۔شَن رٮ۪تن ہُند۔م: شَشماٗہی اِمتحان۔

شَس ٹُر:- (ن۔مؤل: شَس ٹُر)۔ژٕرِ سۆمب اکھ جاناوار۔

شَشدَر:- (مؤل: شَشدَر < ف: شَشدَر)۔حاٗران۔ رودمُت۔ہٕکی تہٕ ہٕکی۔

شَشدر رہیوٚہ روٗزِتھ گژھن:- حاٗران گژھن۔

راوُن ہیوٚہ۔ہٕکی نہٕ ہٕکی گژھن۔

شَش کل:- (م۔مؤل: شَش کل < س: شَشہِ کلا) تصوُفس منٛز اکہِ مقامُچ نشان دِہی۔

شَش کل وُزنی:- (تصوُفہٕ مؤجب) آگہی سپدٕنی۔نظر موٗکلنی۔

شَطرنج:- (ن۔مؤل: شَطرنج < ع: شَطرنج)۔اکھ کھیل یُس ہِ اَکس خانہٕ دار پٔٹس پیٹھ موہرو سٟتۍ گِندنہٕ یوان چھےٚ۔

شَطرنجُک موہر:- ا۔شطرنج گِندنُک تماشہٕ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) سُہ یُس پانَس تام کیٛنٛہہ آسہِ نہٕ ہٕکی کٔہِ آسہِ یِیے ہٮ۪ندٕ ہن اِشارن پیٹھ نژان۔

شَطرنج باز:- شَطرنج گِندن وول۔یُس شَطرنج گِندُن تگان آسہِ۔

شَعبان:- (ن۔مؤل: شعبان < ع: شعبان)۔ہجری سَنہٕ موجُوب اِٹھیُم رٮ۪تھ۔

شَفق:- (ن۔مؤل: شَفق < ع: شَفق) ۔ا۔سُہ وۆزٕ جار یُس ژٕبَس سری یہِ لوسنہٕ وِزِ چھُ آسان، شامُرن۔۲۔اوبرٕ سلمہٕ پیٹرٕچ چمکھ۔

شَفق بنٛگرِ:- باوُٹی بنگرٕ چالہِ اکھ گُہنہٕ یُس سونہٕ سُند آسان چھُ۔

شَفقدار:- (ع: شَفق+ف: دار)۔یتھ شامٕ نیٛگ ہیوٚہ وۆز جار آسہِ۔یہِ شاہکی وۆز جارن پٔژلومُت آسہِ۔وۆزُل۔

شَفا:-(ن۔مؤل: شَفا<ع: شفا)۔ رٟژر۔ بیمارِ نِش لوٚژر بِلُن۔خاٚر۔
شَفا بُنُن:-(دود بیترِ) بُکراونہٕ یُن۔لوٚژر سپدُن۔خاٚر بُنُن۔
شَفالبُن:-(دآدِس بیترِ) سُہوٗلیتھ گژھنی۔خاٚر بُنُن۔آرام سپدُن۔
شَفایاب:-بلیٚومُت۔ٹھیکھ گومُت۔
شَفاخانہٕ:-(ن۔مؤل: شَفا خان <ع+شَفا +ف: خانہ)۔ہسپتال۔سو جاے یتِہٕ بیمارَن آسَن علاج کران۔
شَفا خانَن لگُن:-(ووہو پژھی) بیماٚری اگادِ گژھنی۔بیمارِ بُجولہٕ پیوٚن۔
شَفاعَت:-(م۔مؤل: شفاعت <ع: شفاعة)۔ ١۔وُسیلہٕ۔٢۔گونہَن بیترِ ہِندِ سَزا تلہٕ موکلاونہٕ باپتھ کرنہٕ آمٕژ سُفاٚرِش۔
شَفاعتس ووٚمیدوار روزُن:-قیامَت کہِ دوہہٕ حضرتِ محمدؐ صاٚبنِہ وُسیلہٕ ژَری پٕٹھ ووٚمید تھاوٕنی یُتھ زِ تِم بچاوَن نارِ جہنمہٕ نِشہِ۔
شَفاعَت کرٕنی:-١۔وُسیلہٕ یُن۔٢۔گونہَن بیترِ ہُندِ سَزا تلہٕ موکلاونہٕ باپتھ سُفاٚرِش کرٕنی۔
شَفاف:-(مؤل:شَفاف<ف:شفاف)سبٹھاہ صاف۔
شَفقَتھ:-(م۔مؤل: شَفقت <ع: شَفقة)۔ ماے، موٚحبَتھ،لول۔

شَفقَتھ آسٕنی:-موٚحبتھ آسُن۔ہمدردی آسٕنی۔ژُک آسُن۔
شَفقَتھ کرٕنی:-ہمدردی ہاوٕنی۔مَدد کرُن۔اَتھ روٗٹ کرُن۔
شَفقہٕ:-(م۔مؤل:شَفق <ع:شَفق)۔زٕژ۔زِتنہٕ۔
شَفقہٕ ترٛاونہٕ:-چمکُن۔نَپہٕ نَپہٕ کرُن۔
شَفقہٕ ووٚتھنہٕ:-چمکُن،پرٛزلُن،زٕژ ترٛاوُن(اوبرٕ یا سَلمہٕ بیترِ)۔
شَکر:-(ن۔مؤل:شَکر<ف:شکرس:شَرکرا)ییٚوٗرکھنڈ۔
شَکر پارٕ:-اَکہِ قِسمٕچ مِٹھاے یُس یوسہٕ اوٚٹ تہٕ کھَنڈ رَلاوِتھ گوٚس منٛز تلان چھِ۔
شَکرشرٛاکھ:-میچھِ میچھِ کتھ کران واجیٚنی بدخاہ زَنانہٕ۔سوزَنانہٕ یوسہٕ میچھِ میچھِ کتھِ کرِتھ پھساوِ۔
شَکر قَند:-اَکہِ قسمُک اَلو ہیوٚہ یُس سبٹھاہ موٚدُر چھُ آسان۔
شَکر گُفتار:-یَمی سٕنٛزِ کتھِ میچھِ آسَن۔موٚدرِ موٚدرِ کتھِ کرن وول۔
شَکر لَب:-وُٹھِ موٚدُر،یُس کَتھن منٛز میچھَر آسہِ (ماشوقس وَنان)۔
شَکروُٹھ:-وُچھو''شکرلَب''۔
شَکری ترٛیلہِ:-ترٛیلن ہُند اَکھ قسم۔اَکہِ قِسمٕکی نٕکی ژوٗنٛٹھی۔
شَکا۔یَتھ:-(م۔مؤل: شکایت <ع: شکایة)۔١۔شکوٕ۔ گِزاو۔٢۔کانٛہہ اَندرِم کَسَر یوسہٕ بییِس نِش دوٗر کرناونہٕ باپتھ ہاوٕنی پییہٕ۔٣۔چھ۔کانٛسہِ ہِنٛز

برخلأفی۔۴۔بمأرۍ ہش۔سَرا زِپرِی کھسَر۔

شَکا۔یتھ آءسنۍ :-۱۔کأنٛسہٕ ہنٛدِ وَرتاوِ چ ناراضگی آءسنۍ۔۲۔کانٛہہ أنٛدرۍ گُسر آءسنۍ

شَکا۔یتھ کرٕنۍ :-۱۔ گژاو کرٕنۍ۔کأنٛسہٕ برخلاف کینٛہہ کرٕن۔۲۔پٕچھ کھینٛز (زبأنۍ یا لیٛکھِتھ)۔ بَرخلأفی وَنٕنۍ۔

شَکا۔یتھ گرٛژھنۍ :-۱۔نوٗقص پأدٕ گژھن۔خرأبی گژھنۍ۔ ۲۔کأنٛسہٕ بَرخلاف رَپٹھ گژھن۔

شکہٕ :-(ن۔مؤل: شک <س: شٔکہ)۔شٕبن ہنٛز کھوٗ۔ یکہٕ وَٹہٕ شےٚ۔

شٕکل :-(م۔مؤل: شَکل <ع: شکل)۔ ۱۔ روٗپ، صوٗرَتھ۔انٛہار۔۲۔ بَناوٕٹھ، ساخت، گرٕنۍ۔ ہشَر۔ڈوٗل۔۳۔تصویر۔۴۔کُنہِ ماملہٕ ہِنٛزٕ چ نٛوٗ یَتھ۔۵۔حالَتھ۔گَتھ۔

شٕکل بدلاوٕنۍ :-کٕنٛہہ یا کأنٛسہٕ ہُنٛد انٛہار بَدلاوُن۔ رُخ تبدیل کرٕن۔سوٗ پرأنۍ صوٗرَتھ نہٕ تھاوٕنۍ۔ انداز یا طرٕیق بدلاوُن۔

شٕکل تژاوٕنۍ :-چمکُن۔نَپہٕ نَپہٕ کرٕن۔گاہ دیُن (کُنہِ بانٛک بیترِ)۔۲۔(بِتھس) شوٗب ہیٛنۍ، بُتھِ جان نیرُن۔

شٕکل دِنۍ :-کانٛہہ خاص طٔرِز یا ڈوٗل دیُن۔کُنہِ خاص طٔرِزٕ موٗجوٗب گرُن۔

شٕکل ڈاکِنۍ :-(کانٛہہ خوبصوٗرَتھ چیز) خراب گرٕتھ ژھٕنُن۔بگراوُن۔

شٕکل صوٗرَتھ :-کٕنٛہہ ڈوٗل،انداز یا گرٕنۍ۔

شٕکل رِگنٛڈٕنۍ :-کُنہِ کُن ہاوُن۔کٕنٛہہ وبڈام اَژُن۔

شٕکل نیرٕنۍ :-وُچھو"شٕکل تژاوٕنۍ"۔

شٕکل وُچھنۍ :-۱۔ بُتھ وُچھن۔مُلاقاتھ کرٕن۔ سمکھُن۔۲۔(ہزلہٕ) پانٛس نظر تژاوٕنۍ۔پانٛس سام ہیٛنۍ۔

شٕکل ہاوٕنۍ :-وبڈام اَژُن۔

شَکلہِ عَقلہٕ :-سیرٕژ صوٗرژ۔

شَکلہٕ دار:-یَتھ شکلہٕ آسَن۔یَتھ منٛز تصویر آسَن۔باتصویر۔

شَکھ :-(ن۔مؤل: شک <ع: شک)۔۱۔ اندیشہٕ۔ وٗہمہٕ،شینٛکھ۔۲۔قیاس۔۳۔پزٕ ھ نہٕ ہیٛنۍ۔مَن تہٕ پَژُن۔دِل نہٕ مانُن۔

شکَس گرٛژھن :-پزٕ ھ کرنَس وایہِ کرُن۔اعتبار نہٕ روزُن (کُنہِ کتھِ یا ملَس مُتلق)۔

شکن روٗژمُت :-شکَس منٛز ہینہٕ آمُت یَس خامخاہ شینٛکھ آسہِ۔

شکہٕ بمأرۍ :-بٔڈ وٗہمہٕ آسنُک مَرضہٕ۔

شکہٕ پژاہ:-وُچھو"شکہٕ بمأرۍ"

شکہٕ روٚس :-۱۔ بِلکُل صحی۔پوٗز۔۲۔بےٚ پھِرُک پأٹھۍ۔بےٚ شک (پأٹھۍ)۔

شکہٕ لَد :-یُس شکی آسہِ۔یَس پزٕتھ کُنہِ چیزَس پٹھ

شکھ گژھِ ۔ ییٚمِ شکھ آسہِ روٗتُمت ۔

شکہٕ لدٕس چھُ پَنہٕ نُے شکھ :- تہٕ ذ۪پتھ گو ییٚمِ کانٛہہ اَتُر کوٚرمُت آسہِ تَس چھُ تمیُک احساس پانٛس تہٕ آسان ۔ مُ : پھٔرِ ژوٗرَس دارِ کوٚنڈ لور ۔

شکھ آوٕر، شکھ آوار :- تِتھ یَتھ پٔتھ پَژھ ہیکہٕ نہٕ ہتھ ۔

شکھ بہُن :- اَپُز وُہمہٕ بہُن ۔ کُنیُک ئلی پاَررُوزُن ۔

شکھ پاوُن :- شکھ پادٕ کرُن ۔

شکھ پیوٚن :- پَژھ نہٕ بہٕنی ۔ اعتبار نہٕ یُن ۔

شکھ تھاوُن :- بےٚ اعتبآری کرٕنی ۔ پَژھ نہٕ کرٕنی ۔ شبقہٕ پاٹھی نہٕ کرُن ۔

شکھ روزُن :- پَژھ نہٕ ہنی ۔

شکھ ژٕلُن :- پَژھ بہٕنی ۔ اعتبار یُن ۔ بروسہٕ بہُن (تتھ پٔتھ یَتھ اَمہِ برونٛہہ شکھ آسہِ ہے) ۔

شکھ ژھٔنُن :- وُہمہٕ ترٛاوُن ۔

شکھ کڈُن :- غلط فہمی دوٗر کرٕنی ۔ وُہمہٕ ژٕلراوُن ۔ خدشہِ دوٗر کرُن ۔ پژھ اَنٕنی ۔

شکھ کرُن :- ۱۔ پَژھ نہٕ بہٕنی ۔ پوٗزِ یا ٹھیکھ نہٕ باسُن ۔ ۲۔ ہانٛژھ لاگٕنی کانٛہہ اَتُر کرُن ۔ ووبال باسُن ۔

شکھ کاسُن :- شکھ ژٕلراوُن ۔ وُہمہٕ کڈُن ۔ پَژھ بیہناوٕنی ۔

شکھ گژھُن :- ۱۔ پَژھ نہٕ روزٕنی ۔ بروسہٕ نہٕ روزُن ۔ اَندیشہٕ پادٕ سپدُن ۔ ۲۔ خطرٕ باسُن ۔ ڈٔر اَژُن ۔ وُہمہٕ گژھُن ۔ ۳۔ باسُن ، لَبنہٕ یُن ۔

شکھ نیرُن :- شکھ دوٗر گژھُن ۔ وُہمہٕ نہٕ روزُن ۔

شکھ ہیوٚن :- دِلس منٛز شکھ رٹُن ۔ وُہمہٕ ہیوٚن ۔ ئلی خوفس دِلس منٛز جاے دِنٕی ۔ اَندیشہ کرُن ۔

شکھا :- (< س: شکھہ) یِکہٕ وَٹہٕ شےٚ ۔ شَن ہنٛز ترٛ ومبر ۔ مِ : اَکہٕ پلہٕ شکھا ۔

شکھا کھنڈ :- (< س: شکھہ + کھنڈ) ۔ یِکہٕ وَتہٕ شےٚ مرٕ ۔

شکھتی :- (م ۔ موٗل: شکتھ < س: شکتہ) ۔ ۱۔ ہکتھ ۔ طاقتھ ، زور ۔ ۲۔ ہُتُر ۔ ۳۔ قوٚ درژ دیوی ۔

شکتہِ پاتھ :- (ن ۔ موٗل: شکتہِ پات < س: شکتہِ پاتہ) ۱۔ اورُک آلو ۔ ۲۔ دَیہ سِنٛدِ اَنہٕ گرٛہ کِنہِ روٗحانی طاقتھ یُن ۔

شکتمان :- (ن ۔ موٗل: شکتمان < س: شکتمان) ۔ ویر، طاقتہٕ وول، جبرٕ تہٕ وول ۔ بہوٗدُر ۔ قاُدِر ۔

شکتہِ ناتھ :- (ن ۔ موٗل: شکتہِ ناتھ < س: شکتہِ ناتھ) شکھتی ہُنٛد مأ لکھ ۔ شمبو ناتھ سُنٛد اَکھ ناو ۔

شکھدَر :- (ن ۔ موٗل: شکھدر < پرٛاکرت: چَکہٕ + دَھر) ۱۔ (برونٛہہ کالہِ) سُہ سرکآری مُلاَزِم یُس اَمأنی وقتہٕ زمینُک (جنسی) مألیہٕ سومبراوان اوس ۔ ۲۔ سُہ شخص یُس رأچھراوَٹھ کرنہٕ موکھہِ گامہٕ والو مقرر کوٚرمُت آسہِ ۔ رأچھدر ۔ فصلن ہُنٛد راوُک ۔

شکھدَرروزُن :- کوٗس روزُن ۔ زاگیہ روزُن ۔

شکھدٕ ری :- ۱۔ رأچھراوَٹھ کرنٕچ کأم ۔ ۲۔ سومۆ زوٗرٕ یا موٚچھِ پھوٗل یُس شکھدَرَس گامہٕ وأ لی دِوان چھِ ۔

شگرِدَن :-(ف: شَش + گردَن)۔ ا۔ ڈ ٹھ یَس نہٕ کانٛہہ فِکرِ کھسہِ۔ کنہٕ ترٛ کر، بٔتھی پھٹر، گُستاخ۔ ۲۔ گر ڈ ڈ۔ م: سَتھ کلہٕ اَنن وول۔

شگاکُ :-یَس سبٹھاہ پے آسہِ۔

شَل :-(ن۔ مؤل: شَل ‹س: شَلی۔ شَلہٕ۔ ف: شَل)۔

ا۔ تیرُک تیز تیؤنت۔ داتگ سٕہ تیؤنت یُس تیرس بُتھِ چھُ لگِتھ آسان۔ ۲۔ پاکھ، پاَل یُس کُنہٕ پھیپھرس یا چھوکس آسان چھُ۔ أندرِیُم ماز (پھیپھرُک)۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) تیؤل۔ کیٖل، حَسد بیترِ۔ ۴۔ (ورگہٕ پأٹھی) کتھِ ہنٛز گوٚج۔

شَل روزُن :-ا۔ چھوکس بیترِ ماز أندر روزُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) خار روزُن۔ شکھ روزُن۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) کتھِ پوٗر پأٹھی واش نہٕ نیرُن۔

شَل کاسُن :-شکھ دوٗر کرُن۔ غلط فہمی دوٗر کرٕنی۔ فِکر ژلراوٕنی۔ مامِلہٕ صاف کرُن۔

شَل نیرُن :-ا۔ کُنہٕ پھیپھرس بیترِ سورٕ أندریُم ماز نیرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) اَصل کتھ پھٹِتھ نیرٕنی۔ پوٚرنوٚن گژھن۔

شَلکھ :-(ن۔ مؤل: شَلک ‹ف: شَلک)۔ چوب۔ مار، لایُن۔ ریماٹھ۔

شَلکھ پیوٚن :-مار پیوٚن۔ چوب پٮ۪ٛنی۔

شَلکھ کرُن :-کھتیٖر کرُن۔ کانٛسہِ چوب دِنی۔ کانٛسہِ ماردیُن۔

شَلکھ کھیوٚن :-سخ چوب پٮ۪ٛنی۔ سخ مار پیوٚن۔ ریماٹھ کرنہٕ یُن۔

شَلتاق :-(ف: شِلتاق)۔ سخ چالاکھ، کھوڑ پھیچل۔

شَلف :-(ن۔ مؤل: شَلف ‹اَنگ: شیلف Shelf) طاکھچ۔ اَلمارِ بیترِ ہُند طاق۔ لبہٕ بیترِ بنومُت پچھن ہُند طاق۔

شَلوار :-(ن۔ مؤل: شَلوار ‹ہ: شلوار)۔ شرٔعی بیزار چالہِ پأجامہِ یتھ واریاہ بَخیہٕ ترأوِتھ مرِ آسان چھےٚ۔ وچھو "شلوار" تہٕ۔

شَم :-(ن۔ مؤل: شَم ‹س: شَمہٕ)۔ ا۔ ژھوپہٕ۔ ژیتھ ذٔنجہِ آسٕنچ حالتھ۔ ۲۔ ہمر۔ نرمی

شَمع :-(ن۔ مؤل: شَمع ‹ع: شمع)۔ ا۔ موم بتٕہ۔ ۲۔ پرٛزلہٕ وُن۔ زُوتہٕ وُن۔

شمع دان :-(ن۔ مؤل: شمع دان ‹ع: شمع + ف: دان) سوزٕ ر یتھ پٮ۪ٹھ شمع زٲلِتھ چھِ تھوان۔

شَمُن :-(ن۔ مؤل: شَم ‹س: شَمتہٕ)۔ ا۔ ہمُن۔ مٔدٕ وَسُن، کم گژھن۔ نرمُن۔ ۲۔ قرارس پٮ۪ٹھ یُن، ذٔنجہِ پٮ۪ٹھ یُن۔

شَمس :-(ن۔ مؤل: شَمس ‹ع: شمس)۔ سِریہ۔ آفتاب۔

شَمشاد :-(ن۔ مؤل: شَمشاد ‹ف: شَمشاد)۔ اکھ کُلٕکۍ ناو۔ سیوٚد تہٕ تھوٚد کُل۔

شمشادقَد :-خوش پوٚدن تھوٚد قد۔

شَمشیر :-(م۔ مؤل: شمشیر ‹ف: شمشیر)۔ تلوار۔ کرٕتل۔

شمشیردار:-۱۔تلوارِ ہٕنز دار۔۲۔کرٕٹھ وَتھ۔
شمشیر دارِ پیٹھِ پکُن:-سٔبٹھاہ بوٚزِتھ شوٗژِتھ کرٕ پٔتھ وَتھ طے کرٕنۍ۔
شمشیرِ زَخم بلہِ زیوٚ زَخم چھُنہٕ بلان:-کانٛسہِ ہٕنز کانٛہہ وٕنٛکر کتھ بوٗزِتھ یُس چھوکھ چھُ لگان سُہ چھُنہٕ سہل سہل بلان۔
شمشیرِ ہٕنز ژٔنڈ:-تلوارِ ہُند دَب۔
شمشیرباز:-سُہ شخص یُس شمشیر چلاونس منٛز ماہر آسہِ۔یُس شمشیر چلاوٕنۍ تگان آسہِ۔تلوارِ ستۍ گٔنکہٕ گندن وول۔
شمشیربازی:-تلوار چلاوٕنچ اَکھ کھیل۔تلوارِ ہٕنز گٔنکہٕ کھیل۔
شمشیر کڑٕنۍ:-میانہٕ منٛز تلوار کڑٕنۍ۔لڑایہِ باپتھ تیار روزُن۔
شمشیر لایٕنۍ:-تلوارِ دَب دِیُن۔مارُن۔قتل کرُن۔
شمشیر وایٕنۍ:-شمشیر چلاوٕنۍ۔کترِ بتہٕ کرُن۔
شَملہٕ:-(ن۔موٗل:شَمل <ع:شملة)۔دَستار پٹکہٕ۔
شنیچر:-(ن۔موٗل:شنیچر <س:شنیشچر)۔اکھ گرٛہہ۔ یک ناو۔زُحل۔
شنیچر رَنگ گژھُن:-تمہٕ رَنگ گوٚژھُن۔کرٛیہُن۔
شنہٕ شنہٕ/شنےٚ شنےٚ:-(<س:شنے شنے)۔اَستہٕ اَستہٕ، وارٕ وارٕ،ہنہٕ ہنہٕ۔
شَنٛٹھ:-(ن۔موٗل:شَنٛٹ <س:شنڈھ)۔لانٛنوٗہ ہٕم

سوکھ۔نامرد۔سُدٕ گوٗر۔
شَنٛکر:-(ن۔موٗل:شَنٛکر <س:شَنکر)شِوٕنا تھٕن اَکھ ناو۔
شَنٛکا:-(م۔موٗل:شَنٛکا <س:شَنٛکا)۔۱۔شَکھ۔ پرٛژھنس لایق کینٛہہ۔۲۔شَک۔
شَنٛکا کرٕنۍ:-۱۔شَکھ کرُن۔۲۔فِکر کرٕنۍ۔
شَنٛکا گژھٕنۍ:-۱۔شَکھ پیوٚن۔۲۔شَک گژھٕنۍ۔
شَنٛکر اچار:-(ن۔موٗل:شَنٛکر اچار <س:شنکر اچاریہ) سرینگرس اَندرا کہِ بالُک ناو۔تختِ سُلیمان۔
شَنٛکر اچأری:-(ن۔موٗل:شَنٛکر چأری <س:شَنکر اچاریہ) اَدویتھ۔ویدانتہٕ کِس یا توحیدٕ کِس حلقس دٔس تلن وول،دَیان یہِ اوس اَزی کِس کیرلا ریاستس اَندر دُلاڈی گامُک روزُن وول۔
شَنٛکھا سور:-(ن۔موٗل:شنکھا سور <س:شنکھا سُر) اَکِس راکھسہٕ سُنٛد ناو یُس بگوان کرٛشنہٕ ہٕندِ اَتھہٕ مارٕ گو۔سیا گوتُک اکھ کردار۔
شٔنگرا:-(م۔موٗل:شٔنگر <؟)۔اکہِ بوٗٹہٕ ہُند ناو۔
شٔنگرٕ قہوٕ:-سو گرٛز کہٕوِتھ شربتھ۔یتھ شٔنگرٕ ترٛاونہٕ آسہِ آمٕژ۔
شٔنگرِ ووٕنۍ:-(ورگہٕ)لوٗٹ دُکاندار۔سُہ دُکاندار یُس شُر بوٚڈ بیترٕ کنان آسہِ۔
شٔنگرٕ۲:-(م۔موٗل:شٔنگر <؟)۔۱۔ربٕژھ۔۲۔ٹاو۔ پھوٚدِ تُلُن۔۳۔ٹُھٹُھہٕ۔۴۔شِکست۔ہار۔
شٔنگرٕ کرٕنۍ:-۱۔ٹاوس تُلُن۔ربٕژھ تُلٕنۍ۔۲۔ٹُھٹُھہٕ کرُن۔
شٔنگرٕ گژھٕنۍ:-۱۔ٹُھٹُھہٕ گژھُن،کہٕنۍ نہٕ اَتھہٕ یِن۔

رېزھ ووٕھنۍ ۔۲۔ شِکست کھیوٚن ۔

شَنگرف:۔(ن ۔مؤل: شَنگرف <ف: شَنگرف) ووزلہٕ رَنگہٕ اَکھ داتھ ۔ سیٖنٛدر ہیوٚ اکھ داتھ ۔

شنگرف تھمب ہیوٚ ہ:۔بُتھِ ووزُل نہٕ موٚٹ دروٚٹ ۔ صیٚحتہٕ رٚنٛز جان ۔

شنگرٕنۍ:۔(<ف: شنگرفی) ۔ قِرمزی ، مولہِ رَنگہٕ ۔ سُنٛد رِ رَنگہٕ ۔

شَو:۔(ن ۔مؤل: شَو <س: شَو) ۔ پَٔنٛبھ ۔ مورد ۔ لاش ۔

شَوٕ رَنگ:۔موٚتن ۔ لیٚدٕ رِزھٹھ ۔

شَوٕ روتھ:۔(بَٹَن ہُنٛد) کاٗنٛسہِ کوج تراَوِتھ روزنک ورٛتھ ۔ کاٗنٛسہِ ہِنٛدِس مَرُنس پَتھ نزدیکی رِشتہٕ دارَن ہُنٛد ڈٕہم ہُنٛد (مأنجتھ نأوِتھ) اَکِے کال کھیوٚن ۔

شَوٕ شیٖش:۔مورِدس کرِم دَرِم یا کفن دفن کَرِتھ یُس پوٚنسہ ٹوٚنک پَتھ کُن روزِ ، تہِ ڈٕیِتھ گوسہ پوٚنسہٕ یُس حرام مانہٕ یِیہ ۔ یُس پوٚنسہٕ رَٹُن واتہٕ نہٕ ۔

شَوٕ کھش:۔ا ۔بےٚ قضا موت یا مارٕ گرٛھن ۔۲۔ مکٕری گرٛھن ۔

شَوٕ کھش گرٛھن:۔مکٕری گرٛھن ۔ بےٚ قضا مرُن ۔

شَوٕ نبر مال:۔(قسمہٕ پرٛٹھی) رٚکھنہٕ نہٕ ۔ بلکل نہٕ ۔ ہرٕ گز نہٕ ۔ حَرام کیٖنٛہہ ہے ۔

شَوَل:۔(م ۔مؤل: شَول <س: شوٗلا) ۔ مالذاتھ ۔ بد ذاتھ زنانہٕ ۔

شوال:۔(ن ۔مؤل: شَوال <ع: شوال) ۔ ہجری سَنہٕ حسابہٕ ڈٕری یِک ڈٕہیم ریتھ ۔

شَوٕ ا:۔(<س: شیوہ) ۔ا ۔ زٕرَو ۔ ہأل ۔۲۔ عادَتھ ۔ ۳۔ ڈٕنٛڈ ۔

شَوٕ اَژُن:۔ا ۔عادَتھ لارُن ۔۲۔ ڈٕنٛڈ گرٛھنۍ ۔

شَوٕنیٖن:۔ڈٕنٛڈ رَٹٕنۍ ۔ تٕراےٚ نٕنۍ ۔ زٕرَ ولدُن ۔

شَوٕ۲:۔(<ع: شیوۃ) ۔ مزٕ ۔

شَوٕ اَژُن:۔ژاپھ اَژٕنۍ ۔ مزٕ اَژُن ۔ شہرٕ اَژُن ۔

شوکَتھ:۔(ن ۔مؤل: شوکت <ع: شوکۃ) دَبدبہٕ ۔ طاقتھ ۔ روب داب ۔ شان ۔ بجر ۔

شَہر:۔(ن ۔مؤل: شَہر <ف: شَہر) ۔ قصبہٕ کھوتہٕ بٔڈ بستی ۔

شَہر باش:۔(ف: شہر باش) ۔ شہرُک (روزُن وول)

شہریار:۔(ن ۔مؤل: شَہر یار <ف: شہریار) راژٕ ۔ بادشاہ ۔

شَہَل:۔(م ۔مؤل: شَہَل) ۔ شیٖہلتھ ۔ دَگ ۔ ژٕریا تٔر بیترٕ ، ہمٛنٛج حالتھ ۔

شَہَل پیٚنۍ:۔ا ۔ پَتھ تۄر کم گرٛھن ۔ دَگ ہٕنۍ ۔۲۔ (طنزٕ پأٹھی) ۔ ڈٕشمنس زٕکھ واتہٕ نۍ ۔ وأنٛج شیٖہلنۍ ۔

شہنشاہ ۔(ن ۔مؤل: شہنشاہ <ف: شہنشاہ) بوٚڈ پادشاہ

شہنشاہی:۔(م ۔ف: شہنشاہی) ۔ا ۔ حۄکومَتھ ۔ پادشاہی ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کاٗش آرام ۔ راژٕ سی ۔

شہادَتھ:۔(م ۔مؤل: شہادت <ع: شہادۃ) ۔ ا ۔ گواٗہی ۔ بیانہٕ ۔۲۔ خودایہٕ سنٛز وَتہِ منٛز مرُن ۔ پزٕ خاطرٕ مرُن ۔ شہید سپدُن ۔

شَہادَتچ اوٗنگج :- اَنزِم اوٗنگج ۔ نٕنڈھس نکھہٕ اَچھ اوٗنگج ۔

شہادَتُک دَرجہ :- تیٚتھ ثواب ییٚتہٕ کانٛسہِ خودایہِ منٛز شہید سپدتھ واتَن ، تہٕ دُپتھ گوسبٕتھاہ زیادٕ ثواب ۔ سبٕتھاہ تھوٚد دَرجہٕ ۔

شَہادَتھ پکٕنۍ :- گوٲہی تران روزٕنۍ ۔

شہادَتھ تارٕنۍ :- (عدالتَس بیترِ منٛز ) گوٲہی دِنۍ ۔

شہادَتھ دِنۍ :- وُچھو "شہادتھ تارٕنۍ"

شَہادَتھ لبٕنۍ :- شہید سپدُن ۔

شَہتیر :- (م ۔ مؤل: شہتیر < ف: شہتیر ) ۔ بوٚڈ کوٗٹ ۔

شہمَتھ :- (م ۔ مؤل: شہمت < ع: شہادۃ ) ۔ ۱ ۔ بلاے ۔ چیٚنٛڈ ، ووبال ۔ ۲ ۔ پنہٕ نۍ ( کوٗرمُت ) پکڑُن ۔

شہمَتہٕ کار :- شہمَتھ پنہٕ کٔنۍ ۔ بدٕقسمتی کٔنۍ ۔

شہمَتھ اَنٕنۍ :- بلاے اَنٕنۍ ۔ پھٔنڈۍ اَنٕنۍ ۔ کینٛہہ تیٚتھ کرُن ۔ ییٚمہِ سٟتۍ مُصیبتھ ییہٕ ۔

شہمَتھ پھرٕنۍ :- شہمَتھ یِنۍ ۔ پَنُن کانٛہہ اَتھٕ پھرُن ۔

شہمَتھ ژَلٕنۍ :- بلاے دوٗر گژھٕنۍ ۔ کینٛہہ تیٚتھ سپدُن ییٚمہِ سٟتۍ خطرٕ ژَلہٕ ۔

شہمَتھ یِنۍ :- ۱ ۔ بلاے یِنۍ ، تیٚتھ کینٛہہ سپدُن یُتھ چیٚنٛڈ پیٚیہٕ دِنۍ ۔ کھٔریُن ۔ ۲ ۔ اَتھٕ گژھُن ۔

شہمِٕ لَد :- کارٕ شِنہٕ لَد ۔ ییٚمۍ سٕنٛدۍ کٔنۍ کانٛہہ مُصیبتھ کھٔری لَد ۔ بلایہٕ بوٗرُت ۔

شَہوَتھ :- (م ۔ ع: شہوۃ ) ۔ کام ( واسنا ) جنسی خاہش ۔

شَے ۱ :- (م ۔ مؤل: شَے < ع: شیٔ ) ۔ آش ۔ وومید ۔ کُنٛج ۔ آپٕنھ ۔

شَیہٕ آسُن :- وارٕ کارٕ آسُن ۔ گرٕپنہٕ آسُن ۔ ٹھِکانس آسُن ۔

شَیہٕ تھوُن :- وارٕ کارِ تھوُن ۔ ٹھِکانَس تھوُن ۔

شَیہٕ روزُن :- ٹھِکانس روزُن ۔ وارٕ وَتہٕ روزُن ۔

شَے آسٕنۍ :- کل آسٕنۍ ۔ آش روزٕنۍ ۔ آپٕنھ آسٕنۍ ۔

شَے تھوٕنۍ :- آپٕنھ تھوٕنۍ ۔ وومیدوار روزُن ۔

شَے روزٕنۍ :- آپٕنھ روزٕنۍ ۔

شَے ۲ :- (م ۔ مؤل: شَے < فارسی ، جاے لفظُک بِگار ) شاے ۔ جاے ۔ م: پوٚت شَے ۔

شابَش ، شاباش :- (ن ۔ مؤل: شابَش < ف: شاباش < شاہ باش ) ۔ مَرحَبا ۔ واہ واہ ۔ مِ: شنایش یِتھے گژھ بروٚنٛہہ گَن تہٕ کرُن ۔

شابَش پچھے :- ( ہزلہٕ ) یی پزیا ؟ ۔

شَابَش شابَش کرُن :- سَمَتہٕ مَتہٕ دِیُن ۔ مَرحَبا کرُن ۔

شاپھ :- (ن ۔ مؤل: شاپ < س: شاپہ ) ۔ ۱ ۔ بَددُعا بَدشَبد ، اَپہٕ واکھ ۔ ۲ ۔ سو حالتھ یتھ اَندر ۔ کانٛسہِ کھٔرِس پیٚٹھ کھٔریہٕ ، مُصیبتن پیٚٹھ مُصیبتھ یِنۍ ۔

شاپَس نیٚنٛدٕ ریٚنٛیۍ :- مُصیبتھ ٹَلٕنۍ ۔

شاپہٕ شُر :- ۱ ۔ سُہ بچہٕ یُس زُو کرٕنہٕ تہٕ کھیتھ چِتھ آسہِ کمزور گژھان ۔ ۲ ۔ سُہ بچہٕ ییٚمہِ سٕنٛدٕ زینہٕ ماٗلِس ماجہِ غرٲہی پیٚیہٕ نہٕ ۔ ۳ ۔ سُہ شُر یُس منگۍ منگۍ آسہِ زامُت مگر ہیوٚت پیٚیہٕ نہٕ ۔ ۴ ۔ منگہٕ ٹُک تدوٗرک ۔

شاپہٕ کرٕم :- بدنصیبی ۔ بدقسمتی ۔ بدبختی ۔

شاپہٕ کار—سو کأم یَتھ منٛز ژٕ تہٕ ژٔھری ہِن۔

شاپہٕ کأم:—سو کأم یَتھ گُھر تہٕ کھر ییہِ۔ سُہ کار یَتھ سیٖتۍ وسیٖو د سبز رگژھِنہٕ۔

شاپہٕ لد:—ا۔ بد قسمتھ۔۲۔ یَس نہٕ زانٛہہ سبز آسہِ گژھان۔ شُر بیتر یُس نہٕ زانٛہہ واہٕ آسہِ روزان۔ ۳۔ یَتھ (کارس) گُھر تہٕ کھر ییہِ۔

شاپھ بہُن:—ا۔ تژہ حالتھ گژھنۍ یَتھ تھوٗ دہیکی زِنہٕ وُتھِتھ۔ پأر بہُن۔۲۔ گشر لگُھن۔ اَندنہٕ واتُن۔

شاپھ تُلُن:—کینٛہہ تیُتھ کرُن یِیمہِ سٟتۍ شاپک اَثر دوٗرگژھِ، شاپک اَثر ژٕلراوُن۔

شاپھ دِیُن:—بد دُعا دِیُن۔ بد کاپھُن۔

شاپھ لگُن:—ا۔ پٔژن بد دُعا سیٖو د گژھن۔ تہٕ گژھن یہِ شاپھ دِنہٕ وأڑی یوٗ ژھمت آسہِ۔ ۲۔ (کامہِ بیترِ) ژیرٕلگُن، ژیٹھ لگُن۔

شاٹھ:—(ن۔ مؤل: شاٹھ)۔ا۔ کولہٕ منٛز سیکہِ ووگنیار، دٔرِ ہیٚو ہ۔۲۔ سیکہِ ہُند سیٖومب یُس گُنہٕ کھہس بیترِ بیہہ۔

شاٹھس لگُن، شاٹھِ لگُن:—ا۔ ناوِ ہُند تَتھ طرفس کُن لگُن یَتھ طرفس سکھ آسنہٕ کِنٛز یہِ پٔکتھ ہیکہِ نہٕ۔ کم آبس اندر پٔکتھ نہٕ ہیکُن۔۲۔ (ورگہ پأٹھی) پھسُن۔

شاٹھ بہُن:—سکھ لیمب بیترِ لاوِس فصلس پٹھ بہنۍ۔ سیٖومب بہُن۔

شاخ:—(ن/م۔ مؤل: شاخ>ف: شاخ=س: شاکھا)۔ ا۔ لَنٛڑ، ہُر، بیگ جوش۔ تَر، تُر۔۲۔ حِصہٕ۔ جُز۔ ۳۔ نَسِل۔ لَنٛڑ (شجرٕ بیترِ چ)۔

شاخِ شمشاد:—(ورگہٕ) زأوِج تہٕ اُوِج (ژٔنی)۔

شاخ بُری:—سمٕو گُلین لنٛجہِ ژھوٗٹراوُنہٕ۔ لنٛجن کرٕپ ہیٚوٗن۔

شاخ ترأشی:—وُچھو "شاخ بُری"

شاخ ساز:—کانٛٹِل۔ کانگر، پھُٹۍ بیترِ ووٗنُن وول۔

شاخ شُماری:—وانیہِ خأطرٕ، چار واین ہنٛز گرٛنڈ۔ مال شُمأری۔

شاخ کڈٕنۍ:—ا۔ ژٔرکھاہٕنۍ۔ نوٕلنٛجہِ نیرنہٕ۔ بیگ جوش گُھسنۍ (گُلکہِ بیترِ)۔۲۔ کوٗدِ کڈٕنۍ۔ تٔچھ تٔچھِ کٔرتھ اصلیتھ نٔنۍ کڈٕنۍ۔

شاخ نیرٕنۍ:—ا۔ ژٔرکھسنۍ۔ نوٕلنٛجہِ نیرنہٕ۔۲۔ رِشتہٕ بڈُن۔ کوربن گبرَن کھانٛدر کرنہٕ سٟتۍ رِشتہٕ دأری منٛز ہُر برگژھن۔

شاخَل:—یَتھ لنٛجہِ آسَن۔ لنٛجہِ دار۔

شاد:—(مؤل: شاد>ف: شاد)۔ا۔ خوش۔ مَزس منٛز۔ ۲۔ آباد، فِکرٕ رۄس۔

شادروزُن:—خوش روزُن۔ فِکر یا غم نہٕ ہیٚوٗن۔

شادمرٕگ گژھن:—پَزنہٕ پٔیٹھی خوش گوٚھنہٕ سٟتۍ مَرُن۔ ژٔرخوشی گوٚھنہٕ سٟتۍ بے ہوش گوٚھن یا حواس راوٕنۍ۔

شادمرگی گژھنۍ:—پَزنہٕ پٔیٹھی خوش گوٚھتھ مَرُن یا

مَس گرٕژھن۔ شادمرٕگ گرٕژھن۔

شادمأنی :-(م۔مؤل: شاد مأنی <ف: شادمأنی) خوٚشی۔مَسرت۔

شار:-(ن۔مؤل:شار<ع:شعر)۔بأتھ۔ہُر۔

شار گنڈٕنی :-ا۔ بأتھ وَنٕنۍ، شأیری کرٕنی۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی)بأتَن منٛز کأنٛسہٕ ہنٛدی عأب وہٕھناوٕنی۔شارَن منٛز بدنام کرٕن۔

شارم کون:-(ہزلہٕ)چور۔بےٚ ؤطیر۔

شارِکا:-(م۔مؤل: شارِکا<س: شارِکا)۔ ماجہِ بگؤتی ہُنٛد اکھ ناو۔ہأری دیٖوی۔

شاربر:-دولہٕ دُکانبر۔

شارٹ ویو:-(م۔مؤل:شارٹ ویو<انگ:شارٹ ویو (Shortwave) ریڈیو یا وایرلیس بیترِ چہِ تمہٕ لُہرِ یمہٕ دؤرتام واتَن۔

شارٹ ہینڈ/شاٹھ ہینڈ :-(ن۔مؤل: شارٹ ہینڈ (Shorthand) ژھوٚٹین اَچھرن اَندر لیکھُن۔

شاردا :-(م۔مؤل: شاردا <س: شاردا)۔ سرسؤتی ہُنٛد اکھ ناو یوسہٕ علمٕچ دیٖوی مانٛنہٕ یوان چھےٚ۔ ۲۔ کٔشیرِ ہُنٛد پرٛون رَسم خط۔

شاردابَل :-شاردایہٕ ہُنٛد اَستھاپَن۔

شاردا پیٖٹھ :-(ن۔مؤل:شاردا پیٖٹھ <س:شاردا پیٖٹھ) ا۔شاردایہٕ ہُنٛد تخت۔شاردایہٕ ہُنٛد مَندر، کِشن گنگا وادی منٛز چھُ۔ ۲۔ شاردایہٕ ہنٛز جاے، (ورگہٕ پأٹھی) کٔشیر۔ ۲۔سو جاے یوسہٕ نہٕ زانٛہہ ژھیٚپہٕ۔

شارک:-(م۔مؤل:شارک<انگ:شارک:Sharak) اکھ خاص سمندری گاڈ۔

شاس:-(م۔مؤل: شاس<س: شواس)۔گٹھ نیل یا ہانڈ گرٕژھنہٕ کِنہ رَژِ کھنٛجہِ شاہ بند گرٕژھن۔

شاس کرٕنی :-کأنٛسہٕ (شُرِس بیترِ) تیٚؤت کِتہٕ کِتہٕ کرٕن یُتھ تَس نیل گرٕژھِ۔

شاس گرٕژھنی :-ا۔شاہ بَند گرٕژھن۔ گٹھِ گرٕژھنی۔ نیل گرٕژھنی۔۲۔سخ بُرٕحالتھ گرٕژھنی (بچس بیترِ)۔

شاسترٕ :-(ن۔مؤل: شاسترٕ <س: شاستر)۔ہیٚنٛدن ہنٛز مذہبی کتاب۔مذہبی یا فلسفی کتاب۔

شاسترٕ پالُن :-ا۔تمن کتھن پیٚٹھ عمل کرٕنی۔یمہٕ دَرمہٕ چَن کتابن منٛز درٕج آسن۔ہیٚنٛدن ہُنٛد مذہبی حُکم پالُن۔ م: شاسترٕ پولُم شُسترٕ گولُم کہوچہٕ سون گوم خألی یے۔۲۔پزٕتھ پالُن۔

شاسترٕ وَنُن :-تمن کتھن ہنٛز باوتھ کرٕنی یمہٕ مذہبی کتابن منٛز آسَن۔م:

وٕنون صَمد میرن شاسترٕ ہیؤہ

پرٕ اوم سؤ تے پَراوم سؤ

مأری فٕٹ وَنُن۔

شاسترٕی:-(<س: شاستری)۔ا۔ مذہبی کتابن پیٚٹھ عوٗبوٗرتھاوَن وول۔یُس شاسترٕ زانان آسہٕ۔

۲۔شاسترٕک۔سنسکرٕتک۔

شاک:-(ن۔مۆل: شاک)۔اَکھ جاناوارٕیُس کٕکٕ کۆ آواز کران چھُ۔

شال ا:-(ن۔مۆل: شال<پرٛاکرت: سِہ آلہ<س: شرٕگالہ۔مُ۔ف: شِقال)۔کاژرِ رَنگہٕ ہۆنٛی چالہِ اَکھ جنگلی جانورٕیُس آبادی اَندرٕ پکھی روزان تہٕ ٹُنگان چھُ۔

شالَس لوٗٹ زیوٗٹھ پانَس وُرُن وَلُن:-تہٕ دُپتھ گو ہرگاہ کانٛسہِ کانٛہہ چیز چھُ نہٕ چھُ تَس پننہٕ آسایشہِ تہٕ اَکاربکارٕ پننہٕ خاطرٕ ہیٚنٛس کیٛاہ۔

شالابوٗ ڈُکس دۆپنٛس بیٛلہِ یُس آو:-تہٕ دُپتھ گو یَسے بُڈ جایا اَتھ آیہ تَسی وۆنکھ بوٗڈ۔

شالہٕ پَد ا:-۱۔(ورگہٕ)اَنگہٕ وَن۔۲۔شالہٕ سٕندی پُدی آکھ۔

شالہٕ پَد ۲:-شالہٕ کٔتھ(زہٕٹھ زہٕٹھ)

شالہٕ پار:-شالہٕ گو پھ۔سو جاے یَتھ منٛز شال روزان آسہٕ۔

شالہٕ پوش:-جُتھر ہیٛوٚہ اَکھ وُسنٕ پوش۔

شالہٕ تھوکھ:-پوٚس یُس یِپہٕ وِزِ کولہٕ ہیٛرٕ وَسان چھُ۔

شالہٕ ٹُکھ:-(ورگہٕ)ژھوٚٹ وَتھ،مُنزی وَتھ۔گنہِ وُرٕسپہٕ جایہٕ لیٛٹھ وَتھ۔

شالہٕ ٹُنگ:-شالہٕ سُند وُنٛگنٕچ آواز،سو کرٛکھ یوٚسہٕ وُنگن وِزِ شال دِوان چھُ۔

شالہٕ جمادأری:-ٹٔلی جمادأری۔ٹٔلی زِچھر یَتھ نٕہ کانٛہہ فأیدٕ آسہٕ۔

شالہٕ خِلش:-(ورگہٕ)۔بےٚ یزتی۔بےٚ ؤقری۔بےٚ دِوتی۔

شالہٕ زَگ:-کاژرِ رَنگہٕ اَکھ وُوٗٹھ داں ہٕقسم۔

شالہٕ زٕ گر:-وُچھو"شالہٕ زَگ"

شالہٕ ژَکھ:-تِم منٛزٕ ژکھ یِمن مۆلو(خاص گُرتھ وِرٕ مولو)اوٚش آسہٕ کوٚرمُت۔مۆلوٕ سٕتی وۆنٛتھ ژکھ۔

شالہٕ گُنز:-کاژرٕ یِرسان سفید گُنز۔

شالہٕ کیوٚو:-اَکھ نۆوداں ہٕقسم یَتھ توٚہ دوزُل چھُ آسان۔

شالہٕ گوپھ:-سو جاے یاہٕ بیترٕ یَتھ منٛز شال روزِ۔

شالہٕ لوٗٹ:-اَکھ قدٕ اوار وُسنٕ گاسہٕ ہٕقسم۔یِمیُک پوش شالہٕ لوٗٹ ہیٛوٚہ آسان چھُ۔اَتھ چھےٚ پھرٕ ستہٕ پھمبس ہِش حیتھ آسان۔

شالہٕ مَرٕژ وانگن:-اَکھ وُسنٕ گاسہٕ ذاتھ یَتھ مَرٕژ وانگن چالہِ میوٚ چھِہ پھوان۔

شالہٕ مار:-(م۔مۆل: شالہٕ مار<س: شرٕگالہَ+مہاسرٕ ف: شاہ+ترکستانی۔ملر)سرٕینگرٕ پیٛٹھٕ نوٚمیل دوٗرٕ اَکھ باغ یُس موغُل دورس منٛز بنیومُت چھُ۔

شالہٕ وُنگ:-شالہٕ سٕندِ دورٕچ آواز۔

شالہٕ وُنگن:-واریاہن شالن ہُنٛد سٕمِتھ دورُن۔

شالہٕ ہار:-اَکہِ قسمٕچ ہار یوسہٕ کوہن بیترٕ پیٛٹھ چھےٚ آسان۔

شالہٕ ہور:-کاژرٕ ٹیٛچہٕ گُرتھ۔

شالہٕ ہٕنگ :- کانٛہہ سُہ چیز یُس نہٕ بَنہٕ وُن آسہِ۔ سُہ چیز یُس اَتھس مِنز اَتُن ممکن آسہِ نہٕ۔ ناممکن کتھ یا چیز۔

شالہٕ ہٕنگ تہٕ ژرِ دوٚد تام حأضِر آسُن /تھوٗن :- یہٕ نہٕ بَنہٕ تہٕ تام بنُن، واتناوُن۔ کُنہِ قِسمٕچ کانٛہہ پَرگی نہٕ روزٕنی /تھٕونی۔

شال ژٕلِتھ بٕٹھِن لورِ :- تہٕ دٕپِتھ گوموقہٕ ژٕلِتھ باز خاص کرُن۔

شال شال بیٚون بیٚون ٹُنگہِ وِزِ کُنی :- تہٕ دٕپِتھ اَگراَکہِ ذأژھنڈ ہن یا اَکہِ قبیلہٕ کٕہن لوٗکن پانہٕ وأنی ہَرتہٕ تمہِ وِزِ چھِ تم سٕمِتھ کران۔

شال۲ :-(ن۔مؤل: شال حف: شال) پشمِنہٕک، رَفلُک یا توسُک زأویُل وَلن پلو یتھ پُٹس تہٕ اَنٛدن ٹوٗپہ کأم تہٕ چھےٚ کرنہٕ یوان۔

شال باف :-(مؤل: شالباف حف: شال باف) پشمِنہٕ وَوَن وول۔

شال بأفی :- شال وونٕک کار۔

شالکی :-(م۔مؤل: شالکو حوٗچھو شال۲) اکہِ خاص قِسمُک پشمِنہٕ شال۔

شالین :-(حس: شالیِنَ) ۔۱۔ مأرۍ موٚند، خوٗبصورتھ خوش کرُن۔ ۲۔ یہٕ چھُ اکہِ گامُک ناوتہٕ۔

شام ۱ :-(ن۔مؤل: شام حف: شام/س: شیٛاما) سَندِ یا۔ آفتابہٕ لوسنٕک وَق۔ سُہ وق یِمہٕ ساتہٕ ژھمبرٕ میلان چھےٚ۔ یِمہِ ساتہٕ (پٕژھ) اَنہٕ گٹہٕ گرٕژھنی ہوان چھےٚ۔

شامہٕ پٕتی :- اَنہِ گٹہٕ گرٕژھتھ، شام گرٕژھنہٕ پتہٕ۔

شامہٕ تارُکھ :- أکِس پھیرِ وٕنس تارکہٕ سُندناو۔ شوٗکرٕ۔

شامہٕ ژٕکر تہٕ مَنٛدنِن بِہوال :- وُچھو "شامہٕ ژوٚتٕر"۔

شامہٕ ژوٚتٕر :- سُہ یُس دوہَس بیٚہِہ تہٕ شامَس ہیٚہِ کأم کرِنی۔

شامہٕ ژوٚتُر تہٕ مَنٛدٕنی بیٚہوال :- تہٕ دٕپِتھ گواصل وَق راورِتھ کووقتہٕ کأم کرنہٕ بہُن۔

شامہٕ ژھایہٕ :- دوہ لوسَن بأگ۔ یِمہِ ساتہٕ ژھایہٕ بٕڈ پیٚو آسَن۔

شامہٕ ژھمبر :- شام وقتُک دُگوش۔

شامہٕ شامے :- ۱۔ شونٛگنِ وقتہٕ بروٗنٛہہ، سبٕھاہ سُلہٕ۔ ۲۔ کألی کالے۔ پگاہ پٕژھ تز اونہٕ ورأے۔

شامہٕ گٹہٕ :- شام وَقتُک دُگوش۔ سَندِیا وَق۔ ژھمبرٕ۔

شامہٕ گر :- شامُک وَق، شامٕچ وِز۔

شامہٕ وِل :- شامٕچ وِزِ، شامُک وَق۔

شام تامتھ :- یوٗ تامَتھ شام گرٕژھِ۔ اَنہِ گٹہٕ گرٕژھنس تام۔

شام تانی :- وُچھو "شام تامتھ"۔

شام کرُن :- ژیرلاگُن، وَق ضایہ کرُن۔ دوہ لاگُن۔

شام گرٕژھن :- ژیرلگُن، اَنہِ گٹہٕ گرٕژھنی۔

شام نِماز :- شامٕچ نِماز پرنٕک وَق۔

شام واتُن :- دوہ لوسُن۔

شام۲:- (ن۔مؤل: شام <؟ع: شام)۔ اکہِ قسمُک پھلُل یُس چاروایِن چھُ کران۔

شام پیوٚن:- (ووہو پُرٛھی وَنان) چاروأیس شاچ بمأری لارٕنی۔

شام۳:- (ن۔مؤل: شام <س: شیامہ)۔ ا۔ گیٚشوم، نیٖول۔ ۲۔ گیٚشوم آسنہٕ کِنہِ کرٛشنہٕ (اوتار) سُنٛد اکھ ناو۔

شامہٕ رَنٛگ:- گیٚشوم۔ بوٚ مبری۔ کاژُر۔

شامہٕ رٕ پھ:- گیٚشامہِ یا نیٖلہِ رَنٛگہٕ۔

شامہٕ سوندٕر:- (ن۔مؤل: شاہٕ سوندر <س: شیامہ + سُنٛدر)۔ اَکہِ پوشُک ناو۔ یہِ چھُ کرٛشن جی سُنٛد اَکھ ناو وتہٕ۔

شامہٕ صوٗرتھ:- گیٚشامہِ رَنٛگہٕ جوان۔

شام گل:- شونٛتھُن اکھ ناو، یمہِ کِنہِ تمہِ سُنٛد ہوٚٹ ڈُنی یِہُنک زہر چِنہٕ کِنہِ نیٖول اوس گومُت۔ نیٖلہٕ کنٹھ۔

شامَن:- شام وَقتن۔ یمہِ ساتہٕ شام آسہِ گومُت۔

شامَن بأ گی/بأ گِلِن:- ہر کی یہٕ لوٚستھ یمہِ ساتہٕ اَنہٕ گٹہٕ گژھِنہٕ بِیہہٕ۔

شامبر:- کرٛیٚہنبر۔ کاوٕ دِچھِ رَنٛگ۔

شامرُن:- (ن۔مؤل: شامرن <ف: شام)۔ شفق۔ سُہ ووزجار یُس شامہِ کہِ وَقتہٕ افتابہٕ لوٚستھ اَسمانس چھُ کھسان۔

شان:- (م۔مؤل: شان <ع: شان)۔ یِزتھ۔ بجر۔ تھزر۔ دَبدَبہ۔ روبہ داب۔ تھکبہٕ تھکبھ۔

شانہٕ بوٚڑ:- یِزتہٕ وول۔ بوٚڑ موہنیو۔

شانہٕ شوکتھ، شان وشوکت:- تھزر بجر۔ دَبدبہٕ۔ جاہ وجلال۔

شانہٕ وَسُن:- مَرتبہٕ کم گژھُن، یِزتہٕ وَسُن۔

شانِ نزوٗل:- قرآنِ شریفکو آیات یا سوٗرٕ ہیترٕ نازل سپدنُک موقہٕ محل ہیترٕ۔

شانہٕ ا:- (ن۔مؤل: شان <ف: شانہ)۔ نکھ، پھیکو۔

شانَن پٹھ پیوٚن:- مَتہِ کھسُن۔ کُنہٕ کامہٕ ہیترٕ ہٕنز ذِمہٕ دأری کھسٕنی۔ کنیگ بار پیوٚن۔

شانَن پٹھ ہیوٚن:- مَتہِ ہیوٚن۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) بور تُلُن۔

شانہٕ پھٹٕنی:- تھکِتھ لوٚستھ پیوٚن۔ ژھیٚنِتھ پیوٚن۔

شانہٕ پھورٕنی:- چوب ژھانڈٕنی۔ مار کھینکی کیرن آئنی۔ پھوران آئنی۔

شانہٕ دارٕنی:- پھیکو دارٕنی۔ مَتہِ ہیوٚن، پانس پٹھ ہیوٚن۔ ذِمہٕ دأری ہیٚنٛز۔

شانہٕ کڈُن:- ا۔ کاڈ کڈُن۔ واش کڈُن۔ ۲۔ بجر پڑاوُن۔ تھزر پڑاوُن۔

شانہٕ مرُن لگٕنی:- ا۔ پھیکین پٹھ بار پیوٚن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) پیٚنہٕ ہٕنز ذِمہٕ دأری مَتہِ کھسٕنی۔

شانہٕ مُران مُران گژھُن:- جانہٕ مرگ گژھُن۔ موتَس ستی جنٛگ کران مَرُن۔

شانہٕ مؤرٕنی:- لاچأری ہاوٕنی۔ لاچار گژھُن۔ مجبور لاگُن۔

شانہٕ ووٚگنٛی :-(ل۔م) پھسٕکۍ نبر نیرٕنۍ۔ فخر آسنہٕ کِنۍ شاد گژھن۔(کانٛسہِ ہٕندِس بجا گژھنیا رُتبہٕ پژاونس پتھ) یوٚکہٕ پننہٕ۔

شانہٕ ہوٚر :- دوشوٚے پھسٕکۍ، زنکھ۔

شانہٕ ہوٚر کڈُن :-۱۔ وُسوار بٔنِن۔ چھاتی بڈٕنۍ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٚٹھۍ) بجر پژاوُن، کاڈ کڈُن۔

شانہٕ ہوٚر مُژراوُن :- پھسٕکۍ الگ کرٕنۍ۔ تانہٕ تانہٕ کڈُن۔ لنٛجہٕ کرُن۔

شانہٕ۲ :-(ن۔مؤل: شان <ف: شانہ) کنٛگنٛی۔ سُہ چیز یمہٕ ستۍ مَستَس زٔٹھ چھِ کڈان۔ بٔرۍ گرِتھ اکھ سامانہٕ یمہٕ ستۍ مَس شیران چھِ۔

شانہٕ ساز :-۱۔ کنگہٕ بناون وول۔ کنکنہٕ گوٚر۔ ۲۔ یہ چھےٚ اکھ کرام تہٕ۔

شانہٕ کرُن :- مَستَس کنٛگنٛی دِنۍ۔ مَسشیرُن۔

شانٛت :-(مؤل: شانت <س: شانتہ)۔۱۔ ژھوپہٕ گرِتھ۔ قرارس، آرام۔ نرٕم۔ ۲۔ سو پوٗزا ییترٕ یوسہٕ کانٛہہ بلاے دوٗر کرنہٕ باپتھ کرنہٕ یوان چھےٚ۔ م: گرِ شانت۔ ۳۔ سُہ یُس نہٕ زیادٕ وولہٕ۔ طبیعتہٕ کِنۍ نرٕم۔ نرٕم مزاز شیتل (سو باو)۔

شانٛت کرٕنۍ :- بلاے دوٗر کرنہٕ باپتھ اکھ قسمٕچ پوٗزا کرٕنۍ۔

شانٛتہٕ سو باو :- وچھِو "شوٗنت" لفظس تل۔

شانٛتُن :-(نِ۔مؤل: شانت <س: شانتہ+اُن)۔ ۱۔ ژٔکھ ہٕمنۍ۔ شرارتھ دٔسُن۔ ۲۔ ژھوگُن، ژھبتہٕ گژھُن۔ ۳۔ مَرُنس واتُن، مرُن۔

شانٛتیوٗمُت :-۱۔ قرارس آمُت، ڈٔنجہٕ پتھ آمُت۔ ۲۔ ژھبتہٕ گومُت۔ ژھوکیوٗمُت۔ ۳۔ یُس زُو دژامُت آسہٕ۔

شانٛد :-(ن۔مؤل: شانٛد <س: شِیر شانتہٕ/شِر+انتہ) ڈوٚکھ۔ کانٛہہ سُہ چیز یمہٕ ستۍ شوٗنگن وِزِ کلہٕ تھوٚد پٔہن روزِ۔

شانٛدٕ گر :- تمہِ دیٚار یا پلو پوشاکھ یم زام ہےٚ کاکنہِ تمہِ دوہہٕ ہوان چھےٚ یمہِ دوہہٕ تَس کُٹھ دِوان چھِ۔ شوٗنگن زِ ج۔

شانٛدٕ کھور تہٕ کھورٕ شانٛد کران :- راتس دوہس اِستادٕ روٗزِتھ بمارس خدمتھ کرٕنۍ۔

شانٛدٕ گنٛڈۍ طوطہٕ :-(چوٗعلی کھبنہٕ واجنٛی) زنانہٕ آشنٛی۔

شانٛدٕ گنٛڈۍ نر :- وٕچھِ پوچھِ مُژھ تہٕ نرٕ۔

شانٛدٕ گوٚنٛد :- لو گُٹ تکیہٕ۔ غلافہٕ منٛز پھمب بیترٕ برِتھ سُہ چیز یُس شانٛد چھِ دِوان۔

شانہٕ پھرُن :- اَکِس ڈٕرِس ستۍ اُستھ دوٚیمس ڈٕرِس ستۍ واتُن۔ وفاداری بدلاوٕنۍ۔

شانٛد ترٛاوُن :- لر ترٛاوِتھ بٔہن۔ کانٛہہ فکر ذِکر ہٕنہٕ ورٛاے بٔہُن۔

شانٛد دِتھ بٔہُن :-۱۔ نرٕمرٕ نوٗتھ بٔہُن۔ کانٛہہ فکرِ ذِکر روٚس بٔہُن۔ بےٚ غم پاٚٹھۍ بٔہن۔ لر ترٛاوِتھ روزُن۔ ۲۔ کانٛہہ کام نہٕ کرٕنۍ۔

شانٛد دیُن :-۱۔شانٛدِ گنٛڈ بدل استیمال کران۔
۲۔(ورگہِ پأٹھی ) کأنٛسہِ پیٹھ ڈٔوکھ ترأوِتھ پانہٕ آرام کرُن۔تل دیُن۔

شانٛد ڈٔلُن :-(ورگہٕ)مُرٛنس واتُن۔

شانٛد لگُن :-تَل لگُن۔ہیہِ یُن۔

شاندار :-(مۆل: شاندار<ع: شان+ ف: دار)۔ ہاوُن تہٕ باوُن لایق، تھکُن لایق۔

شانٛژ٘ر :-(ن<س: شانتہ)۔نرمی،رُت سو باو۔شرافتھ۔

شانٛش :-(م۔مۆل: شانٛش <س: شوٗاسہ ) پھرٛکھ۔ شاہ ژھوکُن حالتھ۔وُچھو "شانٛش" تہٕ۔

شانٛشہِ ہوٚت :-یُس پھرٛکھ آسہِ کھوتمُت۔

شانٛش کھسٕنی :-پھرٛکھ کھسُن۔

شانٛشہِ خطا، شاشہِ خطا :-(ہأبتہٕ بیترٕ ستی) اُتھر نیرِتھ ژٔلُن۔

شانٛشن :-شانٛش کھسٕنی۔پھرٛکُن۔پھرٛکھ کھسُن۔شاہ ژھوکُن۔

شاوے :-(م۔مۆل:شاوے<س:شرٛاد)اَفواہ۔ہوگ۔

شاوے پیٚنی :-(کأنٛسہِ متُلق) اَفواہ گرٕٛھنی۔کرٛکھ گرٕٛھنی۔ہوگ نیرٕنی۔

شاوے ترٛاوٕنی / ژھٕنٛنی :-اَفواہ ترٛاوٕنی۔

شاوے گرٕٛھنی :-وُچھو "شاوے پیٚنی"۔

شاوِر :-(م۔مۆل: شاور)۔چالباز تہٕ چالاکھ زنانہٕ۔ ژٔرچالاکی ہاوَن واجنی زنانہٕ۔ٹھور۔پژنہٕ پیٹھی تیشل زنانہٕ۔

شاہ :-(ن۔مۆل: شاہ<س: شوٗاسہ)۔۱۔سُہ ہوا یُس زُو ذأژ(آسہِ کٔنی) چوان تہٕ ترٛاوان چھےٚ۔ پرٛان۔۲۔زُو۔زُوزِ بتہٕ۔

شاہ بٔنٛد گرٛھن :-دَم گرٛھن۔شٕہک کھسُن وَسُن رُکُن۔کینہہ گرٛھن یمہِ کنٛی شاہ ہتھ ہیکہِ نہٕ۔

شاہ پوٚشُن :-دَم روزُن۔

شاہ پھیٖر :-دَم سندارُن۔ووشُو۔

شاہ پھیٖر کرُن :-دَم سندارُن۔ووشُو کڈُن۔

شاہ تٔہہ کڈُن :-کرٛ تھہ تہٕ کرُن۔ژھوپہٕ دَم کرُن۔

شاہ ٹھکُن :-۱۔شاہ ہنبس منٛز باقأیدگی یِنی۔ جان پأٹھی شاہ ہیوٚن۔۲۔زُود دُرُن۔سَندارُن۔

شاہ دَرُن :-۱۔دَم روزُن۔شاہ پوٚشُن۔کبٕتہٕ ترٛنہٕ وِزِنہٕ شاہ پھٹُن۔۲۔پرٛانایامَس منٛز شاہ ہنٛد تھوکُنچ مَشق کرٕنی۔

شاہ دیُن :-ہسہِ ناوُن۔تُلُن۔پھوکھ دیُن۔

شاہ رَگ :-سو رَگ یوسہِ شاہ نأڑِس ژھُنی کھوٕرِ آسان چھےٚ۔

شاہ ژھٹُن :-شٕہج کھسہِ وَس بٔنٛد گرٕٛھنی۔مرُن۔

شاہ کڈُن :-۱۔شاہ ترٛاوُن۔أنٛدرِیم ہوا نیبر ترٛاوُن۔ ۲۔کتھ کرٕنی۔کُنہہِ کتھہِ نبر کرُن۔کتھ بیٚیس نِش باوٕنی۔

شاہ کھسُن :-(وَرگہٕ)زُو نیرُن۔

شاہ کھاٗرُن :-ا۔ شُشہِ نارِ پیٹھ ہَوا کھاٗرِتھ نَستہٕ یا اُسہٕ کَنۍ ترٛاوُن۔ زورٕ سان شاہ ہیوٚن۔۲۔ پھرٛ کھ ترٛاوُن۔ دَم ہیوٚن، تھکھ کڈُن۔

شاہ لِتھ :- شُہج یتھاے کھسہٕ وَسہٕ رَژھا۔ (خاص گُرِتھ تسُندیُس مَرنہٕ سَر آسہِ) سوٚت شاہ۔

شاہ وٲلُن :- شاہ شُشہِ ناٗرِس کُن سوزُن۔

شاہ ہیوٚن :-ا۔ ہوا پانس اَندر داٗخل کرُن۔ نَستہِ یا اُسہٕ کَنۍ ہوا شوٗشہِ ناٗرِس تام واتناوُن۔ شاہ ہیوٚر کھاٗرُن۔۲۔ پزُون شاہ پھٹرٛ اُوِتھنوٚ سَرٕ شاہ ہیوٚن (یہِ چھُ کبٹہِ منٛز اَکھ نوقص پوان مانہٕ)۔ ۳۔ تھکھ کڈُن، ٹھٔہرن، آرام کرُن۔

شاہ۲ :-(ن۔ مؤل: شاہ<ف: شاہ)۔ا۔ بادشاہ، راژ۔ ۲۔ (نیٚتھر) مہراژ۔

شاہ چیٖن :-(وَرگہٕ) بُس مَرٕس منٛز آسہِ۔ غمو فکرو رٕوس۔

شاہِ لَولاک :- لَولاکک پادشاہ۔ حضرتِ محمدؐ صابُن اَکھ لقب۔

شاہِ وِلایت :- حضرتِ علیؓ سُند اَکھ لقب۔

شاہ پَر :-(ن۔ مؤل: شاہ پ۔ ر<ف: شاہ پر)۔ جاناوارَن ہٕنٛز پکھہِ منٛز زٕ ٹھ ہش تیٖر۔

شاہ پاٗز :-(ن۔ مؤل: شاہ پاٗز<ف: شاہ باز) اُکِس جاناوارٕ سُند ناو۔ شاہیٖن۔

شاہ پوٗش :-(ن۔ مؤل: شاہ پوٗش<ف: شاہ+ پوش)۔ اکہِ خاص قسمٕچ لیف یا رَضاے۔

شاہ تَر :-(ن۔ مؤل: شاہ تَر<ف: شاہ+تَر) اَکھ وُسنی بوٗٹۍ، اَتھ چھُ نیٚگ گولاٗبۍ پوٚش پھولان۔

شاہ تیٖر :- وُچھو "شہتیٖر"۔

شاہ تُل :-(ن۔ مؤل: شاہ تُل<ف: شاہ+س: توٗتہٕ) تُلن ہُند اَکھ ویوٚتھ تہٕ ژوٚک قسم۔ بوٚڈٕ تُل۔ اَکھ کھٕسِتھ تُلہٕ ذاتھ۔

شاہ توٗس/ شاہ توٗسہٕ :- اَکھ زاٗوُیل تہٕ مولُل پشمیٖنہٕ شال۔

شاہ راہ :-(مؤل: شاہراہ<ف: شاہراہ)۔ خاص تہٕ بڈ سڑک۔

شاہ زادٕ :-(ن۔ مؤل: شاہ زاد<ف: شازادہ)۔ بادشاہ نیچو۔ راژ کُمار۔ راژِ پوٗتھر۔

شاہ زاٗدۍ/ شاہزاٗز :-ا۔ پادشاہ سٕنٛز کوٗر۔ راژ کوماٗر۔ ۲۔ (ہزلہٕ) خانہٕ ماٗج کوٗر۔ گُراٗز کوٗر۔

شاہ سوار :-(ن۔ مؤل: شاہسوار <ف: شاہسوار) یُس گُرۍ سوارِ منٛز طاق آسہِ۔ چوبک سوار۔

شاہکار :-(ن۔ مؤل: شاہ کار) تھدِ پایک۔ تھدِ درجُک، پلیہٕ بوٚڈ، مولُل (تخلیق بیتر) تھٔکُن لایق۔

شاہ گاٗسۍ :-ا۔ باٹھٕ پاٗتھرس منٛز راژ سُند رول اداکرن وول۔۲۔ گُرِس سَتۍ سَتۍ پکن وول۔ ۳۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) رَنگن گوٚر۔ گٕتھۍ گُچھے۔

شاہ گُر :-(ن۔ مؤل: شاہ گُر)۔ا۔ اَکھ داس قسم یتھ پھوٚل موٚٹ تہٕ توٗہ زاٗوُیل چھُ آسان۔ ۲۔ مہراژٕ سُند گُر۔

شاہ مات:-(م۔مؤل:شاہمات<ف:شاہ+مات) شطرنج۔س منز (بادشاہس سٟتۍ) مات دِنۍ۔

شاہ مار:-(ن۔مؤل: شاہ مار<ف: شاہ مار)۔ ا۔سرپھَن ہُند راز۔ باڈِ بوڈ کھوژُون زہریلہٕ سَرُپھ۔پھَن داریا تاجدار سَرُپھ۔۲۔(ہزلہٕ) سُہ انسان یُس دیارَن سَرپھ ہٕندی پأٹھی رأچھ کرِ تہٕ خرٕچ دِیہ نہٕ کرٕ ھنہٕ۔

شاہ مارٕ سٕنز ترٕیش گژھٕنۍ:-اور یورنہٕ ڈُلن بٔنن۔ اَتھ مُتلق چھےٚ ڈٔلیل زِ شاہ مار یتھےٚ ترٕیش چَنہٕ باپتھ چھُ گژھان تَس چھُ پٔتۍ کٔنۍ ٹھٕس گژھان تہٕ سُہ چھُ ترٕیش چَنےٚ پوٚت پھیرتھ یوان۔

شاہ مار لاگن:-دیارَن رأچھ روزُن یتھٕنہٕ کانہہ نیہ۔ کأنسہِ نہٕ پٔنٕن پأنسہٕ بِنہٕ دِیُن۔ اَستھ نہٕ خرٕچ کرنہٕ دِیُن۔

شاہ مأرۍ زُلف:-مأرۍ مُنڈی تہٕ وَردار زُلف (یم عاشقس زنتہٕ بُچھان چھِ)۔

شاہ مؤل:-گُلیٚگ سُہ خاص مؤل یتھ پیٹھ سُہ دٕرِتھ آسان۔

شاہ نامہٕ:-فارسی زبأنۍ منز فِردوسی سُند مشہور رَزمیہٕ شاہ کار۔اَتھ منز چھےٚ ایرانہٕ کٕین پتھ کالِہ کٕین پادشاہن ہٕنز ڈٔلیل بأتن منز وَننہٕ آمٕژ۔

شاہ نشین:-بٔہن کُٹھیٚگ سُہ حِصہٕ یُس دَمدَرِ تہٕ دٕروٕسی سٟتۍ الگ اوس کرنہٕ یوان تہٕ یتہٕ راز یا

خوجہٕ بہان اوس۔

شاہانہٕ:-بادشٲہس ہیوٚہ۔ تیٚتھےٚ یُتھ رازس شوٗبہٕ۔شوٗبہٕ دار۔ ۲۔رازٕ سی پأٹھی۔شاندار۔

شاے:-(م۔مؤل:شاے<جاے لفظٕک بِگار) جاے۔ مقام بٔہن پاوٕر۔

شاید:-(مؤل: شاید <ف: شاید)۔ دوٚ۔ظاہرا۔ بَنہٕ ہُن چھُ۔

شایع:-(مؤل:شایع<ع:شایع)۔یہٕ (چھاپ کٔرِتھ) لوٗکن تام واتناونہٕ یِیہ۔

شائع سپدُن:-کتاب بیترِ چھٔپتھ چیز لوکن منز پھأ لاونہٕ باپتھ یلہٕ تراوُن۔

شایع کرُن:-(چھپاوِتھ)۔جأری کرُن۔بازر تراوُن۔

شایان:-(مؤل: شایان<ف: شایان)۔یہ شوٗبہٕ۔ جأیز۔مُناسب۔زیبا۔

شایانِ شان:-یُتھ پزِ تہٕ تیُتھ۔ تھٔکِن لایق۔

شبیہہ:-(م۔مؤل:شُبیہہ<ع:شبیہہ) شکل صوٗرتھ۔ اَتھ سٟتۍ بناونہٕ آمٕژ تصویر۔فوٹو۔خاکہٕ۔

شُترٕ۔شُتھر:-(مؤل:شُتر<س:شَتُر)۔دُشمن۔یُس سٟتۍ دُشمنٕ آسہٕ۔

شُترٕ نۍ وُکرٕ نۍ:-دُشمن تہٕ وُلتہٕ پیٚٹھۍ (مُخالف) مِ: بلاے جانٕہن شُترٕنٕن تہٕ وُکرٕنٕن۔

شٔتٕین:-(ن۔مؤل:شٔتٕن<س:شَتہ) اَکھ پژون سِکہٕ یُس ۂتِن (ترامہٕ) دٟنارَن برابر اوس آسان۔

شترأز :- دُشمنی۔

شترأز کرِنی :- دُشمنی کرِنی یا بوزِنی۔

شُتروِت :- دُشمنی۔ رنجش۔ عداوتھ۔

شُتروِت کرُن :- دُشمنی وَرتاوِنی۔

شُتھر :- (مؤل: شتھر > س: شترُ)۔ وُچھو "شتُر"۔

شتھر بُزی :- (دُشمنس اَتھ) کھیاوناوُن۔ دُشمن بُزی۔

شتھر گر :- دُشمنَن ہُنٛد خاندان۔

شتھرِ گیلُن :- دُشمنن ہِنٛز پامہٕ۔ لوٗکہٕ پامہٕ۔ م: یُتھ نہٕ گژھِہٕ شتھر گیلُن چھس بےکس تَے۔

شَدید :- (مؤل: شدید > ع: شدید)۔ ۱۔ سَخ زبردس۔ ۲۔ شٔچھ۔ کٹر۔

شُدر :- سو یہٕ چالہٕ اَکھ ہِنٛدٕ گاسہٕ ذاتھ، اَمہٕ کس نٔلس چھِ ہو کھنأوِتھ رزِ وُٹھان۔

شُریرا :- (ن۔ مؤل: شُریر > س: شریرکاے۔ موٗر۔ جسم

شُریر ترٛاوُن :- پرٛان ترٛاوِنی۔ مرُن۔

شُریر۲ :- (مؤل: شریر > ع: شرٗ)۔ شرارتی۔ شرارتھ کرن وول۔ فِتنہٕ اَبساوَن وول۔

شُریف :- (مؤل: شُریف > ع: شریف)۔ ۱۔ أصیل۔ یُس نہٕ رزالتھ کرِ۔ سیوٚد تہٕ کھوٚٹھ گُھٹایہ روس اِنسان۔ م: شُریف لُڑکہٕ ہَن چھےٚ۔ ۲۔ پاک۔ مُقدس۔ م: قرآنِ شُریف۔

شُریف زاد :- ۱۔ اصل ذاتھ۔ ۲۔ خاندأنی۔

شَریف لاگُن :- (ہزلہٕ) مطلبہٕ وِزِ سود لاگُن۔ تیُتھ لاگُن زَن نہٕ کینٛہہ زانی۔

شُریفی :- شرافتھ۔ حلیمی۔ اصل ذأتی۔

شُریکھ :- (ن۔ مؤل: شُریک > ع: شریک۔ شرک) ۱۔ بوج۔ یُس ستی بأج وٕٹھ آسہٕ۔ یُس کُنہٕ کامہٕ منٛز شأمل روٗدمُت آسہٕ۔ ۲۔ حِصہٕ دار۔ ۳۔ پِترُ۔

شُریکس شُریکھ أچھ کڈِیا :- تہٕ دِپتھ گوبیہٕ ناحق یُس تَس واتہٕ یِیہٕ نہٕ کُنہٕ صورتس اَنٛدر غصب کرنہٕ۔ حِصہٕ دَر ہیکہٕ نہٕ بیِیس حِصہٕ دَرس کانٛہہ غصب کٔرِتھ۔

شُریکہِ جُرم :- سُہ یُس کأنٛسہٕ ہِنٛدِس اَترِس یا جُرمس بیتر شُریکھ آسہٕ۔ یُس کأنٛسہٕ جُرم بیترِ کرنس اندرأتھ واس کرِ۔

شُریکہِ بوٚد :- شُریکن ہُنٛد اکھأ کس کھِہنس پٔٹھ روزُن۔ پِترُت۔

شُریکھ اَژُن :- حِصہٕ داربٔنُن۔ شُریکھ سپدُن۔

شُریکھ پیوٚن :- ۱۔ پٔٹھ پیوٚن۔ ۲۔ بٔلی کأنٛسہٕ حِصہٕ دِنُس مجبوٗر سپدُن۔ م: بٔتس شُریکھ پیوٚن۔

شُریکھ سپدُن :- حِصہٕ دربٔنُن۔ بأج وٕٹس منٛز اَژُن۔

شُری یَتھ (شریعت) :- (ن۔ مؤل: شُری یَت > ع: شریعہ)۔ شَرع۔ قونوٗن یُس خوداین بنٛدن ہِنٛدِ باپتھ بنومُت چھُ۔ مذہبی قونوٗن۔

شُری کاتھ :- حِصہٕ دأری۔ بأج وٕٹھ۔

شُری کأز :- یَتھ اکِہ کھوتہٕ ژٔری حِصہٕ دار آسُن۔

شُری کوٗت:-شُری کوت۔وِچھو "شُری کاتھ"۔
شُری کِنٛز:-شُر پکھ باے۔ حِصہٕ دار زنانہٕ۔
شٔستر:-(ن۔مؤل: شٔستر <س: شَشتر)۔
ا۔اکھ داتھ۔۲۔ہتھی یار۔م: اُستر شٔستر۔
۳۔(ورگہٕ پاٹھی) اوزُ۔مضبوٗط۔
شٔسترس چھُ شٔسترے ژٹان:-تہِ دٕپتھ گو سخ ظالمس چھُ سخ ظالمے دٕباوان۔م: دارس چھُ پنہٕ نُے پوٗن پھاٹوان۔
شٔسترس ژٕن کرُن:-(ترٕ شُبر، پھوشنہٕ کنٛی) سخ روپہٕ داب کرُن۔
شٔسترس بیٛہناوُن:-پاڑٕ بیٛہناوُن۔سخ بیہٕ ژانٛن۔
دٕبد بہٕ ترٛاوُن۔
شٔستر کھارٕ ژٕن کرُن:-سارِی ہیے ڈٕبہٕ ڈاس کرُن۔
شٔستر گرٕٛ ڈھن:-کانٛہہ چیز تیٚتھ دوٗر گرٕٛڈھن یا کاوُرن یتھ یہٕ سَہَل پھٕٹہِ نہٕ یا واش نیر بس نہٕ۔
شٔستر میٚخ گرٕٛ ڈھنہِ:-روٗ زِتھ گرٕٛڈھن۔
شٔسترٕ و:-ا۔شٔسترٕ ک بنٛیومُت۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) دوزُ۔مضبوٗط۔سنگین۔
شٔفیع:-(مؤل: شفیع <ع: شفیع)۔شفاعت کرن وول۔
گوناہ بخشاوناوَن وول۔
شٔفیع المُذنبین:-(ل۔م) گوناہ گارَن شفاعت کرن وول۔یہٕ چھُ پاٛغمبرِ اسلامہٕ سُند لقب۔
شٔفیق:-(مؤل: شفیق <ع: شفیق)۔موحبتی۔ٹوٹھ۔ہمدرد۔

شٔکی:-(مؤل: شکی <ف: شکی <ع: شک+ی)۔
شٔکھ کرن وول۔کانٛسہِ نہٕ پزٕ ن وول۔وَہمہ لد۔
شٔکی مزاز:-ا۔(پرتھ کانٛسہِ پٹھ) شٔکھ کرنٕک عادتھ۔
۲۔شٔکھ کرُن۔
شٔکیل:-(مؤل: شکیل <ع: شکیل) جان شکلہِ وول۔سوندر۔رٕتہٕ وُن۔
شٔمیز:-(م۔مؤل: شمیز <انگ: شمیز <فرانسیسی Chemise)۔زیوردس اکھ أندرٕ ک گرتہٕ یُس زنانہٕ لاگان چھےٚ۔
شٔمراوُن:-(ن۔مؤل: شمراو <س: شمہ)۔مدٕ والُن، ژکھ بیترِ والُن، کم کرُن، ہمراوُن، نرماوُن۔
شٔمر وومُت:-مدٕ وولمُت، نرموومُت، ہمر وومُت۔
شٔنیل:-(ن۔مؤل: شنیل <انگ: شنیل <فرانسیسی۔ Chenille)۔مخمل چالہٕ اکہِ کپرٕک ناو۔
شٔہأری:-شہرٕک۔شہرس أندر روزَن وول۔
شٔہید:-(مؤل: شہید <ع: شہید)۔ا۔یُس خوداہٕ سنٛزِ وَتہِ منٛز پان چھپہٕ دِیہٕ۔۲۔یُس کُنہِ بجہِ کتھِ باپتھ چھپہٕ لگہِ یا پان دِیہٕ۔
شٔہید کربلاؑ:-حضرتِ امام حسینؑ۔
شٔہید کرُن:-(ورگہٕ) خامخاہ مارِتھ ژٕھنُن۔
شٔہید گرٕٛڈھن:-ا۔کُنہِ بجہِ کتھِ باپتھ چھپہٕ لگُن یا زوٗ دِیُن۔۲۔بےٚ قضاحادٕثس بیترِ منٛز مرِتھ گرٕٛڈھن۔
شٔہرِیتھ:-(م۔مؤل: شہریت <ف: شہری+ع: یہ)

سۆ کوٚنتھ۔ ووٹ دِنک حق۔ لسنہٕ بَسنک حق۔

شہری:۔(مؤل:شُہری <ف:شہری)۔ا۔شہرُک روزُن وول۔٢۔کُنہِ مُلکُک سُہ بُسکین یَس ووٹ دِنک حق آسہِ۔

شأپیٹھ:۔(مؤل:شأپیٹ <س: شاپتہ)۔ تیُتھ کینہہ کاریا کتھ یَتھ کانہہ نتہٕ کانہہ خطرٕ آسنک اَندیشہِ آسہِ۔ یَتھ کانٛسہِ ہُند بَد واکھ یا بَد دُعا آسہِ تہٕ توٚ کنیٚ آسبس کھُر پنُک خطرٕ۔

شأیِ لگُن:۔(کانٛسہِ جان مُہنوِ سُند) کانٛسہ تل ہیٚنہٕ یِن۔

شأٹھس ٹٕکھ دِین:۔وُچھو''شوٹھ''لفظس تل۔

شأج:۔(م۔مؤل:شاج <س:شرٕ گالی)۔شلہٕ ہشرٕ ماد۔

شأدی:۔(م۔مؤل:شأدی <ف:شادی)۔ا۔خوشی ژھوہ، کھاندرس ووٚژھبس گوٚن گنٛڈُن۔٢۔کھاندر۔

شادِ بوج:۔سُہ یُس خوشی منٛز شریکھ آسہِ۔یُس پرٛ دِلہِ بےٚ ہشرِ خوشی منٛز حصہٕ نیہ۔

شادِ کرنہِ:۔رنگہٕ رنگہٕ خوشی مناوٕنی۔

شأدی برٕنی:۔کانٛسہِ ہنٛدِس بُڈس دوہس۔ رٕتس کارس یا رُت بنٛہ نس پتھ خوشی مَناوٕنی۔

شأدی کرٕنی:۔ا۔سبٹھاہ خوش گژھُن۔٢۔کھاندر کرُن۔

شأدی یانہٕ:۔(ن۔مؤل:شأدی یان <ف:شادِیانہٕ) ا۔ کھاندر ردوہہ ژھب۔٢۔ گوٚن گنٛڈُن۔ نوٚن تہٕ ژھوہ دِنی۔

شأستی:۔(م۔مؤل:شأستھی/شاستھ <س:شوٲسہ) سَخ شأنٛش (ژٕکھ بیترٕ ستی)۔پھرٕکھ۔

شأستی کھسنی:۔سَخ شأنٛش کھسنیٚ ژٕکھ بیترٕ کنیٚ پھرٕکھ کھسُن۔

شأستی کھارٕنی:۔ژٕکھ بیترٕ کنیٚ اَسُس پوٚس کھارُن۔ شأنٛش کھارٕنی۔

شأطِر:۔(مؤل:شأطِر <ع:شاطِر)۔ا۔شطرنج گنٛڈن وول۔٢۔چالاکھ۔ژھباز۔

شأگرد:۔(ن۔مؤل:شأگرد <ف: شاگرد)۔کانٛسہِ نِش کینہہ ہیچھن وول۔ژاٹھ چیلہٕ۔مُرید۔

شأگردی:۔(م:<ف۔شاگردی۔ژاٹِل، چیلہٕ گی۔ مُریدی۔

شألی پایے:۔سو وَتھ یوسہٕ رٕدٕ رٕڈو بیترٕ کنیٚ بےٚ سوٚم تہٕ کھنٛڈی پھٹ آسہِ گأمِش۔

شألی تارٕکھ:۔دوکھہٕ۔فریب۔سبز باغ۔فَنٛد۔کانٛسہِ اِنسانس تتھ کتھہِ ہُند باوٕر دِین یوسہٕ ژٕکہِ آسی نہٕ۔سبز باغ ہاوٕنی۔

شألی تارٕکھ ہاوٕنی:۔برٕم دِین۔برٕمراوُن۔سبز باغ ہاوٕنی۔

شأمِل:۔(مؤل:شأمِل <ع:شامِل)۔کُنہِ ستی۔کانٛسہِ ستی۔اَنٛدٕری منٛزی۔

شأمِل گژھُن:۔اَنٛدٕری منٛزی گژھُن۔شریکھ سپدُن۔ بأج وَتھ کرٕنی۔

شأمی:۔(مؤل:شأمی <ع: شام)۔ا۔شام مُلکُک روزُن وول۔شامُک۔٢۔اکہِ قسمُک مَوٚہ

ؤرِیم گوس پٹھ مَسالہٕ ترأوِتھ رَنان چھِ۔

شامہِ ژَکُل :- شأمی کبابُک وُور۔

شأمی کباب :- وُچھو ''شأمی ۲'' مانے ۲۔

شأمی :- (<س: شیامہ)۔ شامہِ رَنگہٕ۔ گیٖشوم۔

شأمی رَنگ :- گیٖشوم رَنگ۔

شأمی لاتھ :- (ن۔ مؤل: شأمی لات <ع: شاملات) گامِچ شرٛ ؤز فالتو زمیٖن۔

شأمی یانہٕ :- (ن۔ مؤل: شأمی یان <ع: شامیانہ) تھدِ قسمُک سایبانہٕ۔ کپرُک بنومُت سہٕ خیمہٕ ہیٛؤہ یتھ پَتھ سوٗتُر چھُ آسان تہٕ أندی أندی چھُس تچیٖر گنڈِتھ آسان، یہٕ چھُ ڈٲنڈن پٹھ اِستادٕ روزِن ہمگیٖر۔

شأنل :- (م <ع: شان)۔ ژھرِ شٕ ہ۔ (یاو) یُٹھ۔

شأنی، شرٛأنی :- (م۔ مؤل، شأنی <س: شیٖنہٕ)۔ ا۔ سہٕ شیٖن یتھ رؤ دستی آسہٕ، رؤدتہٕ شیٖن یکہٕ وَٹہٕ ۲۔ رؤدٕ راٹھ۔ سخ رؤد۔

شأنتی :- (م۔ مؤل: شأنتی <س: شانتہٕ)۔ ا۔ قرار۔ اَمن ۔سوٗکوٗن ۔۲۔ کرٛؤد نہٕ کرُن، شود نہٕ کرُن۔ صبر۔

شأنتی کرٕنی :- کرٛؤد نہٕ کرُن۔ شور نہٕ کرُن۔ صبر کرُن۔

شأنتی ہیٛنی :- مَن کوٕ ہیُن۔ مَن ڈٲنجہِ پٹھ یُن۔

شأنٹھِل :- (م <س: شنڈھ)۔ لانٛژھ گی۔ نامردی۔

شأنڈی لگن :- وُچھو ''شانڈ'' لفظس تَل۔

شأنژرَن :- سو عمل ییمہٕ ستی ژکھ وَسہِ یا شرارتھ کم گژھِہ۔ ہمراوُن۔

شأنژرُن :- (ن۔ مؤل: شأنژور <س: شانتہٕ)۔ ژکھ وألنی، شرارتھ وألن، ہمراوُن، ژھوپہٕ کرناوُن۔ تسلا دیُن۔

شأہِد :- (مؤل: شأہِد <ع: شاہد)۔ گواہ۔ ییمی کانٛہہ کتھ پانہٕ وُژھمٕژ یا بوزمٕژ آسہٕ۔ یُس کُنہِ کتھِ ہنٛز شہادتھ دِیہٕ۔

شأہی :- (م۔ مؤل: شأہی <ف: شاہی)۔ ا۔ راژٕ سُند یا راژٕ چالہٕ، ییمیُک تولُق بادشہس یا دَربارس ستی آسہٕ۔ پادشاہ سُند۔ ۲۔ عأش، مزٕ، دَبدبہٕ۔ راژٕ سی۔

شأہی زافرانی :- اَکھ تھدِ پایُک کونگہٕ ذاتھ۔

شأہی فورمان :- بادشاہ سُند (کوٗمُت) حُکم۔ سہٕ حُکم یتھ بادشاہ سنٛز منظوٗری حاصِل آسہٕ۔

شأہی کرٕنی :- عأش کرٕنی، مزٕ کرٕنی۔ شانہٕ سان روزُن۔ راژٕ سی کرٕنی۔

شأہی محل :- پادشاہ سنٛدِ روزنُچ مَندور۔

شأہیٖن :- (ن۔ مؤل: شأہیٖن <ف: شاہین) شاہباز۔ اَکھ شِکأرؠ جاناوار۔

شأیِر :- (م/ن۔ مؤل: شأیِر <ع: شاعر)۔ شار (شعر) وَنَن وول۔ گونماتھ۔ یُس بأتھ بناوان آسہٕ۔

شأیری :- (م۔ مؤل: شأیری) <ع: شاعر + ف: ی) ا۔ گونہٕ ماتہٕ ہنٛدی ؤنی ستی بأتھ ۔۲۔ بأتھ

بناونٕچ ہونَر یا قابلیتھ۔

شاۍستہٕ:-(مؤل: شاۍست <ف: شایستہ) ۔اصل ذاتھ۔ گاٹُل۔ بوٗز دوٗل۔ یُس نہٕ کھوٗر آسہِ۔ یَس جان تہذیب یا وۄتھن بِہن آسہِ۔

شاۍستگی:- اصل ذاتی۔ گاٹہٕ جار۔ بود۔

شٕتج:-(م۔مؤل: شٕتج <س: شٹیلا) شُتلنبن ہُند اکھ قسم یم عام شُتلو کھوتہٕ نِکی چھِ آسان مگر یِمن نیرن چھِ سبٹھاہ ژٕرِس تیداس منز آسان۔

شٕتج پینٛژ:-(وہو) شُتلی بیمٲری پینٛژ۔ م: تتھ پیے نس شٕتج یتھ پۄز زونان چھُ۔

شِتر/شُتر:-(ن۔مؤل: شتر <س: ستھر)۔ا۔چار سان۔ تنگ۔ چُسپانہٕ گنڈ۔ چیر گنڈ۔۲۔ بور بیترِ چیر گنڈن۔۳۔ سُہ بچھوٗن یُس سَہل سَہل تھپھ تُلہِ نہٕ۔ وُچھو "شُترا شاہ" تہٕ۔

شِٹھ:-(مؤل: شِٹھ <س: ششرتہٕ) ۔ا۔ کٹر مذہبس یا مَتس پیٹھ وۄکھ پٲٹھۍ ڈٔٹتھ۔۲۔اعتقادس پیٹھ پوٗرٕ پٲٹھۍ ڈٔٹتھ۔۳۔سُہ یُس نہٕ یوٗرک بوزِ۔ یُس پننی کتھِ پیٹھ ڈٔٹتھ آسہِ۔ یُس نہٕ پننہِ ہَنہٕ ڈلہِ۔

شِٹھُن:-(ن۔مؤل: شِٹھ <س: ششرتہٕ) ۔ا۔اڈٕ ہوٗکھ گژھن، ترٛی نیرٕنۍ۔ اُدریر یا سزٕ یہہ نیرُن۔ ۲۔ہوکھُن، رَسہِ (فصل بیترِ)۔۳۔ترٛزوٗرُن (پَن بیترِ)۔۴۔ترِ بیترِ ستۍ ہکھر گژھنۍ۔۵۔مرُن۔ زُو نیرنہٕ گَنۍ زبن زنگن لۄکر گژھنۍ۔

شِٹھیومُت۔ شٹھنیومُت:-ا۔ ہٕندریومُت۔ لگتھ گومُت۔ ۲۔ ہوکھمُت، رَسہِ وۄتھمُت۔۳۔ ییٚمۍ پڑان ترٲوۍ مٍتۍ آسَن۔ یَس شاہ ژھو کیومُت آسہِ۔

شِدَتھ:-(م۔مؤل: شِدت <ع: شدة) ۔(دٲدِس بیترِ) سختی زیادتی۔ زور۔

شِر پٹ:-(م۔مؤل: شِر پٹ)۔ شلہٕ پٹ۔ مازُک اَکھ حِصہٕ یُس اڈۍ جَن ہٕندِس جوڑس ژکھ روزان چھُ۔

شِرٕنۍ:-(م۔مؤل: شِرٕنۍ < آوازِ پیٹھ)۔ا۔سیٹی پینٛژ۔ ۲۔پپنہٕ ہنٛز آواز۔۳۔(ورگہٕ پٲٹھۍ) ہس۔ ژٕنج۔

شِرٕنۍ آسنۍ:- پھوکھ آسُن۔ پٍتۍ کَنۍ کانٛہہ زیر زیر دِنِس آسُن۔ کانٛسہِ ہُند ہس آسُن۔ پتھ آسُن۔ کانٛسہِ ہُند دوٗپ آسُن۔ کانٛسہِ اُسکومُت آسُن۔

شِرٕنۍ کرٕنۍ:-ا۔ سیٹی وانٛیٚنۍ۔۲۔ (ورگہٕ پٲٹھۍ) ترٛے کرٕنۍ۔ کتھ بیترِ سٲری ہے پھٲلاوٕنۍ۔ ۲۔(ورگہٕ پٲٹھۍ پتھس روزُن۔ پتھ کرُن۔

شِرٕنۍ ۲:-(م۔مؤل: شِرٕنۍ <ف: شیرین)۔ شیرٕنۍ۔ مُدریرٕس بناوہو ریٚنٛزی چالہِ مِٹھاے (یہٕ چھِ کُنہِ مُبارکس پیٹھ چھکان)۔

شِرٕنۍ چھکٕنۍ:- مہرازس، مہرِنہٕ یا بیٚیہٕ کانٛسہِ کُنہِ مُبارکس پیٹھ شِرٕنۍ کلہٕ پیٹھۍ ترٛاوٕنۍ۔

شِرک:-(ن۔مؤل: شِرک <ع: شِرک)۔ خودایہٕ ہٕندِس ذاتَس یا تٔہندین صفتن منز دوٚیِم کانٛہہ

شُریک کرُن ۔ خودایَس علاوٕ بیٚاکھ کانٛہہ
دُنی یہُک مالِکھ مانُن ۔

شِر مال۱:-(م۔مؤل: شِر مال <ف: شیر+مالیدن)
اَکہِ قسمُچ گیوٚژوٚٹ (یوسہٕ دوٚدٕ ستیٚ اوٹ مانٛڈِتھ
بَنان چھےٚ)۔

شِر مال۲:-(م۔مؤل: شِر مال <وُچھو ''شیر مال'')
اَکھ داں ذاتھ یمیُک ڈَکھ کیٚسرِ تہٕ توٚمل چھوٚت
چھُ آسان۔

شِشُر:-(ن۔مؤل: شِشُر <س: شِشُر)۔ ا۔ترٕ
ہُنٛد واپھ (پُنٛد اُہمہٕ جنوری پٔتھٕ پنٛداہ مارچ تام
وَق)۔کاشُر حسابہٕ مؤجوٗب ڈُری یک اٰخری
واپھ۔۲۔شِشرِس منٛز کورِ گوٚڈٕ برس یا نوٚنوشہِ بیترِ
ہُنٛد شِشُر مَناوُن۔۳۔ٹلہٕ کٕتُر کُٹھُش۔

شِشَر بوگ:-سُہ پوٚنسہٕ ژوٚنک یُس کورِ مالِنٛی۔
شِشُر لاگنٕک دوہ سوزان چھہِ۔

شِشَر سانٛکراتھ:-ماگہٕ سانکراتھ، اَمہٕ دوہہٕ چھُ
سِری یہٕ ووترِس کُن ہوان پھیرُن تہٕ مکر گرس
منٛز اژان۔

شِشَر گانٛٹھ:-پچہِ وٕنس یا دوشہٕ وٕنس آبَس
شِشرِ ستیٚ بنیمٕژ لوٗرہش۔

شِشَر گور:-سو زَرباف ترٕ یوسہٕ (منٛزس) چوٚنہٕ
تھاوِتھ) زَچھِ چالہِ نوٚمہر ینہِ یا زاشُرس ٹوپہ یا
پکوٚس بیترِ لاگان چھہِ۔

شِشَر ماس:-کٔتھ کُشک رِبتھ۔شِشَر کال۔

شِشَر موٚنٛڈ:-وُچھو ''شِشَر گور''۔

شِشُر لگُن:-لٕگِتھ گرٕہن۔ہٕنٛدرُن۔کھٕ کوٗش لگُن۔

شِشُر لاگُن:-نوٚنوشہٕ یا نوٚشُرس شِشَر گور مرُن۔

شِشَر مرُن:- شِشَر گور لاگُن۔

شِشرَم ناگ:-وُچھو ''شیشہٕ ناگ''۔

شِکَس، شِکست:-(ن۔مؤل: شِکَس <ف: شکست)۔
ا۔ہار۔ہارُن۔جنٛگس یا مقابلَس منٛز پتھ گژھنٕچ
حالتھ۔۲۔بےٚ دِوتی۔بےٚ رونقی۔۳۔غریب
آسنٕچ ڈُنٛڈ۔پانس غریب وَنٕنا ونک عادَتھ۔

شِکَس دِین:-پاوُن، ہارناوُن، ژٕلراوُن (مقابلَس
یا جنٛگس منٛز)۔

شِکَس کھیوٚن:-(ہارُن۔پوٗشُن نہٕ، دوٚیمہٕ ہنٛدِ ڈَسی
پاونہٕ یُن۔

شِکَس لَد:-ا۔دَربدٕر، یَس زٕچھ لٕجھو آسن، یَس یا
یمن کانٛہہ صوٗرتھ آسہٕ نہٕ۔۲۔یہٕ چھُ اَکھ بد واکھ
یا بدٕ دُعا تہٕ۔

شِکَس لدٕس شِکَس ڈُنٛڈ:-تہٕ دٕپتھ گو، کم پایہٕ اِنسانہٕ
ہنٛزٕ نظریہٕ چھےٚ کم پایہٕ آسان۔ بچھس چھنہٕ بچھ گی
ہُنٛد عادَتھ ژلان۔

شِکَس لدٕس ووٚ کھُل ڈَکھ، وَلہٕ بہونکھ نکھ:-تہٕ
دٕپتھ گو یَس انسانس ناکارٕ دوہ ین سُہ چھُ تمن
چیزن ہُنٛد سہارٕ ژھانڈان یم نہٕ تتھ لگُن۔

**شِکَس لدَس ہۄن پَتے:**۔ تہٕ ڈٔپِتھ گوبَد نصیبس چھ کھۄنٛدِس پیٹھ کھۄنٛد لگان۔

**شِکَس مۄش:**۔ بےٚ شۄب زنانہٕ۔ ژٕ کھِسان تہٕ دہٕ ہو پُژھرِ تہٕ وِنان۔

**شِکَس نال وُلُن:**۔ آلُژھ ولنہٕ یُن۔ کانٛہہ کاٗم کرنس کُن اَتھہٕ وَتھہٕ نہٕ تَرٛنہِ۔

**شِکَس یُن:**۔ سَخ غریب گژھن۔ زَچہِ لگنہِ۔ مُہم پیۄن، کانٛہہ صۄرتھہ نہٕ روزٕنۍ۔

**شِکَس شےٚ مَن کھارِ تہٕ ترٛےٚ مَن:**۔ تہٕ ڈٔپِتھ گو کانٛہہ صۄرتھاتہٕ نہٕ۔ سَخ نادٲری۔

**شِکَسن وۄلُمت:**۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) سُہ یُس سَخ آلُژھ آسہِ تہٕ کینٛہہ کرنس آسبس نہٕ اَتھہ وَتھہ یوان۔

**شِکِسہٕ واوِچھُ وہ کھُل پھُٹُمت:**۔ تہٕ ڈٔپِتھ گو ییٚلہِ ناکارٕ دوہہ یوان چھِ تیٚلہِ چھُ تِمن چیزن تہٕ پاٗنۍ پانے چۄرٕ گژھان۔ یِمن ہنٛدِ پھُٹنگ اِنسان سوٗنچِتہٕ نہٕ۔ ناکارٕ دوہ ینہٕ وزِ چھِ ہٹہٕ ہٹہٕ دوسہ دوسہ دیوار ڈٔسۍ ڈٔسۍ پیوان۔ تہٕ وَتَن روٗٹ کران۔

**شِکسنک داروغ:**۔ ۱۔ یُس شِکَس نادِیہ۔ یُس شِکس کانٛچھان آسہِ۔ ۲۔ پرٛتھ کلمہِ منٛز روٗٹ پاٛدٕ کرن وول۔

**شِکستی:**۔ (ف: شِکست)۔ ۱۔ شِکس لد۔ یُس شکس آسہِ آمت۔ شِکسی۔ ۲۔ یہ چھُ اَکھ بدواکھ، بددُعا۔

**شِکستہٕ:**۔ (مۄل: شِکست < ف: شکستہ)۔ ۱۔ پھُٹُمت، تھۄکمُت، یَس دِل پھُٹُمت آسہِ۔ ۲۔ نالگہار۔ گُدریوٗمُت، پھُٹُمت (کانٛہہ چیز بیترِ)۔ ۳۔ آمیزی دَسخط۔

**شِکم:**۔ (م۔ مۄل: شِکم < ف: شِکم)۔ ۱۔ یَڈ۔ میٛادٕ۔ ۲۔ شُری بانہٕ۔

**شِکم پھُہن:**۔ آنٹہٕ وانٛٹھ کڑُن۔ یَڈ ژٕٹنۍ۔ تہٕ ڈٔپِتھ گو سَخ سزا دِیُن یا سَتیچہِ اُنِن خاص کُرِتھ ییٚلہِ نیوٗمُت چیز کانٛسہِ نِشہِ آسہِ واپس کڑُن۔

**شِکم چاکھ کرُن:**۔ یَڈ ژٕٹنۍ۔ یَڈ پھُہنۍ۔ اَندرَم کڑٕنۍ۔

**شِکم دار:**۔ واٗلی وِنۍ (گاو بیترِ)۔

**شِکم سیری:**۔ یَڈ ترٛنۍ۔

**شِکم سیر:**۔ یَس یَڈ آسہِ آمُت۔

**شِکم یُن:**۔ یَڈ ترٛنۍ۔

**شِکمس لدُن:**۔ (ہزلہٕ) کھیۄن۔ کھبتھٕ نُین۔

**شِکمہٕ پھوٹُمت:**۔ ڈَمبہِ زامُت۔ ڈمبیُک (منٛگتھ بیترٕ)

**شِکَن ۱:**۔ (مۄل: شِکن < ف: شِکن)۔ پھُٹراوَن وول۔ ٹُکرٕ کرن وول۔ یُس چھلہِ چھلہِ کرِ۔ م: بُت شِکَن۔

**شِکن ۲:**۔ ۱۔ گیٚنۍ، پھُٹ، کوو، وَر۔ ۲۔ رُم۔

**شِکنجہِ:**۔ (ن۔ مۄل: شِکنج < ف: شِکنجہ)۔ سُہ اَوزار یتھ اَندر کینٛہہ زورٕ دِیِہ کنہٕ کاٗز۔ سکینجہِ۔

**شِکنجس لَدُن:**۔ کاٗزٕ کرُن۔ ژٕلنس نہٕ وَتھ تھاوٕنۍ۔

شِکنٛج گرٛزھن:-۱۔ژٕبلنہٕ یُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) تیُتھ پھٔسُن یُتھ نہٕ موکلُن پاے روزِ۔

شِکنٛجبین:-(ن۔مؤل: شِکنٛجبین حف: شِکنٛجبین)۔شَربَتھ۔ نیٚمبہٕ پھٔسُن شَربتھ۔مُدرِ پرِ ترأوِتھ سِرکس بنأومُت شَربَتھ۔

شِکار:-(ن۔مؤل:شِکار حف:شِکار)۔۱۔(ژھایہٕ ہؤل رٕ ٹِتھ یالار گٔرِتھ) جانور مارٕنی۔۲۔سُہ جانور یُس آے گٔرِتھ مورمُت آسہِ۔۳۔(ورگہٕ پأٹھی) مارٕ گومُت۔یُس نوقصان آسہِ واتناونہٕ آمُت۔مِ: ظٲلِمُک شِکار۔

شِکار نیٚرُن:-شِکار کرنہٕ گرٛزھُن۔

شِکار پاوُن:-لوٗ گمُت اِنسان تَل دیُن۔

شِکار کرُن:-آیہٕ گٔرِتھ(کھیلہٕ یا کھبنہٕ باپَتھ) مارُن۔

شِکار گرٛزھُن:-بَلایہِ لَگُن۔نشانہٕ بَنُن۔چھیٚپہِ لگُن۔

شِکار گاہ:-(مؤل:شِکار گاہ حف:شِکار گاہ)۔۱۔سو جاے یتِہ شِکار کرنہٕ یِیہ۔رَکھ۔۲۔بانڈِ جٔشنس منٛز اکھ پأتھر۔

شِکار ماز:-۱۔تِس شِکار جانورٕ سُند ماز یُس کھٚنبس لگہِ۔ ۲۔میوٗٹھ کھبنہٕ باو۔

شِکأری۱:-(ن۔مؤل: شِکار حف:شِکاری)۔یُس شِکار کران آسہِ۔شِکار کرن وول۔

شِکأری۲:-(م۔مؤل: شِکاری ) ناو۔سجأوِتھ لوٚکٹ ناو یوسہٕ تارِ دِنس یاسأل کرنس بیترِ لگان چھےٚ۔

شِکارِ ڈَمب:-تم تھَمب یِمن پٮ۪ٹھ شِکارِ ہُنٛد پٹھ ڈٕ ژتھ چھُ آسان۔

شِکارِ ڈوٗکھ:-ناوِ منٛز ماہ تابہٕ ہُنٛد سُہ حِصہٕ یتھ ستی ڈوٗکھ چھِ دوان۔

شِکارِ ہأنٛز:-سُہ ہأنٛز یُس لوٚکن شِکارِ کٔبتھ اور یورٕ نوان چھُ۔مِ: ڈوٗنگہٕ ہأنٛز بہٕرِ ہأنٛز۔

شِکسی۔شِکس لَد۔

شِکمی:-(حف:شِکم)۔اَکی ڈِمبکو۔

شِکمی کاشکار:-کاشکارن پأنٛس ستی تھووُمت بیا کھ کمیٖل (یُس نہٕ اِندراجس منٛز کاشکار مانہٕ یوان چھُ)۔

شِکو:-(ن۔مؤل:شِکو حف:شِکوہ)۔گرٛزاو۔شِکایتھ۔گلہٕ۔

شِکھا:-(م۔مؤل: شِکھا <س: شِکھا)۔۱۔ژھوگ۔ ۲۔تال۔تیٚوٗنٹ۔تیٖنٛتول(بالُک بیترِ)۔۳۔گوٚنڈ۔

شِکھر۱:-(ن۔مؤل:شِکھر <س:شِکئیہ+اُر۔م۔مرہٹی۔ شکأری)۔رَزَن یا کانٛہن ہُنٛد وٕنُمت بلنہٕ بیترِ تھاونہٕ باپتھ ٹھیُپ ہیوٗہ یا تزٕ ٹٔنگر یوسہٕ تالوس بیترِ الاٹٕ چھےٚ تھونہٕ یوان۔

شِکھر۲:-(ن۔مؤل:شِکھر <س:شِکئیہ) زٕچہٕ تزٕ وٚنگ۔ جَنٛدٕ۔ژھیوٚنمُت،پٮ۪تہٕ پٮ۪تہٕ گومُت،گُنہٕ لایق نہٕ (بلو یا کپُر بیترِ)۔مِ:دَستارِ شِکھر۔پھیرن شِکھر۔

شِگ:-(م۔مؤل:شِگ حف:شِگُن)بدٕ شوٗگوٗنی۔کوشوٗگُن۔

شِگ بوزٕنی:-کانٛہہ یا کیٚنہہ بدٕ شوٗگوٗن زانٛن۔

شِگ روزٕنی:-بدٕ شوٗگوٗنی ہُنٛد خیال مَنَس منٛز روزُن۔

شِگ گرٛھنۍ:- بَد شوٗگوٗنی باسٕنۍ یا شکھ رٹُن۔

شِگَل:- یُس شِگہٕ آسَن باسان۔ یُس بُرٛا ٹھ شِگ آسہِ پوان۔ وٕہمی۔

شِگاف:- (ن۔ مؤل: شِگاف < ف: شِگاف) کھرٛپ۔ پھرٛاٹھ۔ رُم۔ دُرٕز۔

شِکناوُن:- ۱۔ (ورگہٕ) تہٕ کینٛہہ کرُن یمہِ ستۍ اُچھن پٹھ کھٔسی زِ۔ ۲۔ (ورگہٕ) ڈولہٕ ناوُن، پزٕ ارناوُن۔ ۳۔ ہانٛٹھ راوُن۔ ۴۔ کانپہٕ ناوُن۔

شِگنُن:- (ن۔ مؤل: شِگن < س: شَدٕ گنہ) ٹِکۍ لوٗکن ہنٛز زنٛو پٹھ کھسُن۔ اُچھن پٹھ کھٔسُن۔

شِگنیومُت:- ینہٕ نو حرکتہٕ و کنہِ لوٗکن ہنٛز اُچھن پٹھ کھوٗتمُت۔

شِل ۱:- (ن۔ مؤل: شِل < س: شِلہٕ) ۱۔ ژٕنتھ۔ وأنٛج۔ ۲۔ رُت سوباو۔ عصمتھ۔

شِلہٕ پدٕ مان:- سبٹھاہ سوندرتہٕ پأکیزٕ زنانہٕ۔

شِلہٕ شوٗنٛت:- خصلتھ کنہِ رُت۔ سُہ یُس شانٛت آسہِ۔ یُس مَن کٔرتھ تہٕ قرارس آسہِ۔ دَرویش۔ مہاتما۔

شِلہٕ مأنۍ:- عصمتھ واجیٛنۍ۔

شِلہٕ واسُن:- نیک چال چلن۔ رُت سوباو۔ م: ژنٛدرے ژوٗرن لأیتھ مَن تے۔ تھپہٕ نیوٗنم شِلہٕ واسُن۔ (بُلبُل ناگامی)

شِلہٕ رٔچھُن:- عصمتھ رٔچھُن۔ عصمتس رأچھ کرٕنۍ۔

شِل ۲ شلا:- (م۔ مؤل: شِل < س: شِلا) کٔنۍ ہأپتر۔ وٹھ۔ م: سوے شِلا چھے پٔتس تہٕ پٔتھس (للہ دید)۔

شِل ۳:- (م۔ مؤل: شِل) پوٗس (یُس پأنٕس کھسہِ)۔

شِل ۴:- (م۔ مؤل: شِل < س: شیولہٕ)۔ ہل۔

شِلہٕ پٹ:- وُچھِو "شر پٹ"۔

شِلگا:- اکہِ کُلہِ چہِ موٗرِ ہنٛدی پرٕنۍ یمن کا کٕنز بنان اوس۔

شِلوار:- (ن۔ مؤل: شِلوار < ہ: شِلوار) اکہِ قسمُک پأجامہِ یتھ گوڈٕن نِش ژُرِس وار یاہ بَخیہٕ چھے تہٕ اُتھ آسان تہٕ بییہٕ چھُ پٹھ کھوٗل تہٕ بونہٕ تنگ آسان۔

شِناخ، شناخت:- (م۔ مؤل: شناخ < ف: شناخت) زان۔ پے۔ پچھان۔ پرٛزناوُن۔

شناخ کرُن۔ شِناخت کرُن:- پرٛزنان۔ پچھانُن۔ وَنہٕ اُنُن۔

شِناس:- (مؤل: شِناس < ف: شِناس) زانن وول۔ واقف کار۔ خبردار۔ م: قدٕر شناس۔

شِنأے:- (م۔ مؤل: شِنأے < س: شوٗنیہٕ تا)۔ ۱۔ بلکل تبأہی، تلُک پٹھ۔ وُ جارٕگی۔ مؤلہٕ وأرأنی۔ ۲۔ نہ بوٗن۔

شِنایہ دیو:- یُس تبأہی کرِ۔ یُس ڈُبہٕ ڈاس پھرِ۔

شِنایہ لَد:- ۱۔ تباہ زٕد۔ ۲۔ پڈٕر ہور۔ ۳۔ سُہ زٔمین یتھ کینٛہہ کینٛہہ بووان آسہِ نہٕ۔

شِنایہ موغُل:- سُہ یُس وأرأنی کانٛچھ۔ یُس سوٗرے سوٗمبرٕ مُت سوومُت آورواور کرِ۔ یُس تبأہی نادِیہِ۔

شِنأے کرٕنۍ:- ۱۔ تبأہی کرٕنۍ۔ ڈُبہٕ ڈاس کرُن۔

پھَش پھِرُن۔۲۔نہ بوٚن کرُن۔

شِنٲے گژھنۍ:-۱۔ ڈاکھ گژھن۔تباہی گژھنۍ۔ وٲرٲنی سپدٕنۍ۔۲۔نہ بوٚن گژھن۔کینہہ نہ بوُن۔۳۔(ووہو) وٲران گژھن۔۴۔ٹاٹھنیارِ ہکنۍ تہٕ وَنان۔

شِنۍ یاہ:-(ن۔مؤل:شِنۍ یاہ)۔وُچھو"شُنۍ"۔

شِو:-(ن۔مؤل:شِو<س:شِو) شنگر،شوٗ مہٕ۔

شِوٕ پوٗزَن:-شِوٕناتھَس پوٗزا کرٕنۍ۔شِوٕناتھُن ناوسَرُن۔

شِوٕتنتر:-شیوٕ بَن ہنٛزٕ عبادژ وَتھ۔۲۔شیوَن ہُنٛد فلسفہٕ۔

شِوٕجٹا:-(م۔مؤل:شِوجٹا<س:شِو+جٹا)۔۱۔شوٗجی سُنٛد گوسٲنٛزٕ چالہٕ مَس۔۲۔اَکھ یاترایوسہٕ وینہٕ بزارِ ہیوٚرژھ وارِ شرٛاونہٕ پُنم دوہہٕ لگان چھےٚ۔اَتہٕ چھ رۄوٕ پھیرٕ بن ہٕنٛدی پاٹھی ناگہٕ میٛژٕ تالوٕ منٛز پوٚنۍ وَسان۔

شِوٕرِپھ:-(ن۔مؤل:شِوسوٗتر<س:شِوسوٗتر)۔ تمہ ژھوٚٹۍ پدٕ یمن مُتلق وَننہٕ چھُ یوان زِ یم چھِ ترٛ کہٕ شاسترٕچ بُنٛی یاد۔

شِوشکھتھ:-(<س:شِوشکتہِ)۔شِو تہٕ شکھتی یا قودرَتھ۔ شِو تہٕ پارؤتی۔

شِوٕشنگر:-(ن۔مؤل:شِوشنکر<س:شِوشنکر) شِوٕناتھُن اَکھ ناو۔

شِوٕشاستر:-(ن۔مؤل:شِوشاستر<س:شیو+شاستر) تمہٕ کِتابہٕ یمن منٛز شیوی فلسفس وَکھنۍ کرنہٕ آسہٕ آمژ۔شیو فلسفہٕ۔

شِوٕشِوٕ کرُن:-۱۔دَیہ دَیہ کرُن۔شوناتھن ناوہیوٚن۔ شِوٕبکھتی آسُن۔۲۔توبہٕ کرُن۔کتھ ترٲوِتھ ژھنۍ۔ ۳۔کاٗنسہِ ہُنٛد موردٕ آورینہٕ (شِوٕشِوٕ کران) واتناوُن۔یہ چھُ اَکھ وۄہوتہٕ قسم تہٕ۔م:مے زَن شِوٕشِوٕ کرَکھ یا کوٚر مَسہٕ شِوٕشِوٕ۔

شِوٕکرمی:-تم یم شیون ہٕنٛدۍ ریتٕ رَسم پالَن۔ م:ویدک کرمی۔

شِولوٗکس گژھن:-۱۔مرُن۔۲۔مُرِتھ جان مقام پرٛاوُن۔

شِولوٗکھ:-(ن۔مؤل:شِولوٗک<س:شِو لوکہ)۔ شِوٕسُنٛد مقام۔

شِومَے:-(مؤل: شِومَے<ن:شِومَیَہ)۔یتھ منٛز شِوٕےشوآسہِ۔م:شِومَے زَگتھ۔

زِشوررا تری:-(م۔مؤل:شِوراتری<س:شِوراتر)۔ ہیرتھ۔یہ دوہ چھُ کٔشیر منٛز پھاگنہٕ گٹہٕ پچھ ترٛوش مناونہٕ یوان تہٕ کٔشیرٕ نبر چھُ ژدوٕش دوہ یوان۔

شِولِنگ:-شوناتھنۍ موٗرتی یا آکار۔

شِوَرا:-(ن۔مؤل شِور<س:شِور)۔پیٛٹھمہٕ پوٗرک کردار۔یتھ فرش آسہٕ نہٕ دِنہٕ آمت۔

شور۲:-(م۔مؤل:شِور<س:شِوَر)۔اَکھ داں ذاتھ۔ گَنٛجہٕ بوٚن وول اَکھ داں قسم۔

شِوا:-(م۔مؤل:شِوا<س:شِوا) پارؤتی۔سُتی۔

شِوالیہٕ:-(ن۔مؤل:شِوال<س:شِوالیہ) شِوٕمندر۔

شِوٕنۍ:-(م۔مؤل: شِوٕنۍ<س: شِوانی)۔ پارؤتی ہنٛز

آٹھ مۆرتی۔ یہ چھےٚ بارٕ روپۍ زایہِ لگان۔

شۆر:۔سو لوکٕٹ پٕٹ یوسہٕ یٔندرٕ دوسہِ کھجِ أند میٖژ نیرتھ ژٕلنہِ نِشہِ بچاونہٕ خاطرٕ رادٕ پکن منز پھساونہٕ چھےٚ یوان۔

شِوری پٕٹ:۔وُچھو "شۆر"

شِہُل:۔(م۔مؤل: شِہل <س: شِشرٕ/شیٖتلہ)۔ا۔ٹھنڈ۔ شیٖہلتھ۔۲۔دٕگہِ ہُنٛد ہُمن۔

شِہُل پیٚنۍ:۔ا۔شیٖہلتھ گژھنۍ۔دٕگ یا ژٕر بیترٕ کم گژھن۔ ۲۔تسلا گژھن۔اِطمینان یُن۔

شِہُل:۔وُچھو "شُہُل"۔

شی،شیعہ:۔(مؤل: شی <ع: شیعہ) مُسلمانن ہنٛدِ اکہِ فرقُک ناو۔اَہلِ تشیع۔

شیٖتل:۔(ن۔مؤل: شیٖتل <س: شیٖتلہ)۔ا۔ہۆنٛدر۔ ۲۔شِہُل۔نَرم۔(مزاز بیترٕ کنۍ)۔

شیٖتھا۱:۔(ن۔مؤل: شیٖت <س: شیٖتہٕ) اُٹھ ژٕہی۔ ستتھ تہٕ داہ۔

شیٖتھا۲:۔(ن۔مؤل: شیٖت <س: شیٖتہٕ) ژٕر۔ژٕر کال۔وَنٛد۔

شیٖتہٕ اَنہِ:۔(ورگہِ پأٹھی) ژٕر کھارنہٕ۔تنگ کرُن۔ کانپناوُن۔

شیٖتہٕ جار:۔شیٖہجار۔یِمہِ سٟتۍ شیٖہلتھ پیٚیہِ۔

شیٖتہٕ ژانہِ:۔ژٕر ژانہٕ، تہٕ دُپتھ گو تنگ کرُن، کانپناوُن۔ٹکہِ ٹکھ کرناوُن۔

شیٖتہٕ کال:۔ژٕرِ وَق۔ژٕرِ ہُنٛد مۆسم۔وَنٛد۔

شیٖتہٕ کألی:۔وَنٛدس منٛز۔

شیٖر:۔(ن۔مؤل: شیٖر <ف: شیٖر/س: کشیٖر)۔دود۔چھِر۔

شیٖر خام:۔(ن۔مؤل: شیٖرِ خام <ف: شیٖر+خام) اوم دود۔

شیٖرِ مادَر:۔ماجہِ ہُنٛد دود، تہٕ دُپتھ گو یَتھ پٕژھ حق آسہِ۔یہ جأیز آسہِ۔حلال۔

شیٖری چاے:۔پھُل تہٕ دود ترأوِتھ نوٗنہٕ چاے۔

شیٖر خار:۔(ف: شیٖر خوار) دود چوٗن۔دودٕ شُر۔موصُم

شیٖر دیُن:۔دود دیُن۔بَہہِ تل ہیوٗن۔

شیٖر گرم:۔(مؤل: شیٖر گرم <ف: شیٖر گرم) سو کھۄتُن۔ سو کھہِ بۄل۔

شیٖرین:۔(مؤل: شیٖرین <ف: شیٖرین)۔ا۔مۆدُر۔ میٖٹھ۔مزٕ دار۔۲۔فرہادٕ سٕنز محبوبہ۔

شیٖرین دأنۍ ژیر:۔اَکھ ژیرِ قسم یَتھ بوٚٹہٕ ژیر ہنٛدی پأٹھی گۆژ مۆدر چھےٚ آسان مگر اَمہِ کھوتہٕ چھےٚ لوکٕٹ آسان۔

شیٖرین سوخن:۔مۆدرِ کتھہِ کرن وول۔یُس ییٚمی سُنٛد کلامہٕ مۆدُر آسہِ۔

شیٖرینۍ:۔(م۔مؤل: شیٖرینۍ <ف: شیٖرین)۔اَکھ قسمُچ مۆدرِ ریس بنأوِتھ رنٛز چالہِ مِٹھأے۔

شیٖرٕ:۔(ن۔مؤل: شیٖرٕ <ف: شیٖرہ)۔رَس (ہوکھِ یا أدرِ مۆوٕک بیترٕ)۔آب ترأوِتھ تہٕ گُمہ دِتھ بیا للن بیترٕ رَس کڈُن۔

شیرٕن تہٕ شَر بٔژن گرٛژھن :- (کأنسہِ ہُنٛد پأنسہٕ بیترِ) رٕژِ کامہٕ تہٕ لگُن (کأنسہِ ہُنٛد حق کھبنہٕ وأنِس چھُ ووہو پرٛژھی ونہٕ یوان)۔

شیرِ اَژُن :- مَز لگُن۔ ژاپھ اَژٕنی۔ پبد اَژٕنی۔

شیرِ لاگُن :- پَلالہٕ کرُن۔ کھبن لاگُن۔ رچھُن۔

شیٖش :- (ن۔ مؤل: شیٖش > س: شیشَہ) باقٕے یہ پَتھ کُن موژِ۔

شیٖشَم :- (م۔ مؤل: شیٖشَم > ہ: شیٖشَم > س: شِنشپا)۔ اکہٕ لکٕرِ ہُنٛد ناو۔

شیٖشہِ :- (ن۔ مؤل: شیٖش > ف: شیشہ)۔ ا۔ کأرِتھ سکھ تہٕ سوڈَر رَلأوِتھ بَناونہٕ آمٕت اَکھ چیز یَتھ اَپارِ پیور گاش ژان چھُ۔ ۲۔ کاژ۔ م: کاژِ بنگر۔ ۳۔ آنہٕ۔ سُہ چیز یَتھ منٛز بُتھ وُچھان چھِ۔ ۴۔ عأنکھ۔ اَچھن لاگنُک عأنکھ۔ ۵۔ شیٖشہِ بوتل۔ ۶۔ (ورگہٕ پأٹھی) صاف۔ شۆد۔

شیٖشہِ باوُٹ :- ا۔ کاژُو بنگر تہٕ وَٹ۔ ۲۔ چوٗنہٕ جُرِتھ باوُٹ۔

شیٖشہِ بنٛگر :- کاژِ بنٛگر۔ شیٖشِچ بنٔہٕ مژ بنٛگر۔

شیٖشہِ خانہٕ :- ا۔ جاے یَتھ ژووأپور شیٖشہِ دار آسَن۔ آنہٕ خانہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سَخ شیٖشَر۔ سَخ کٔڑ کوٗش۔

شیٖشہِ دأر :- سو دأر یَتھ آنہٕ پَٹؠ آسَن۔ سو دأر یَتھ دِلو بدلہٕ شیٖشہِ پَٹؠ لأگِتھ آسَن۔

شیٖشہِ کھٔنٛڈ :- شیٖشَس وُژھمُت کھٔنٛڈ یا چھَل۔ شیٖشہِ ٹُکرٕ۔

شیٖشہِ گوٚر :- شیٖشہِ بناوَن وول۔ بوتلہٕ بناون وول۔ سُہ یُس شیٖشہِ بانہٕ بناوان آسہٕ۔

شیٖشہِ لاٹھ :- موہرِ لاٹھ یُس ترٕنگس پَتھ دِنہٕ یوان اوس۔

شیٖش محل :- آنہٕ خانہٕ۔ سُہ مکانہٕ یَتھ ژوواپأرۍ شیٖشہِ جُرِتھ آسَن۔

شیٖشہِ ناگ :- (ن۔ مؤل: شیٖش ناگ > س: شیشہ ناگہ) ا۔ اَکِس سَر پھِہ سُنٛد ناو، دَپان اَمِس چھِہ ساس کلہٕ۔ یہ چھُ ویشنو سُنٛد آسَن تہٕ تہٕ چھتھر تہٕ۔ ۲۔ اَمرناتھ وَتہٕ اکہٕ سرٛک ناو۔ شیٖشرم ناگ۔

شیٖل :- کردار۔ چلَن۔ سوباو۔ سیرتھ۔

شیٖلہٕ رٕژھر :- بدچلنی۔ بدکردأری۔

شیٖلہٕ رۄس :- بدچلن، بےٚ وُطیرٕ۔ بدکردار۔

شیٖلہٕ وۄت :- نیک چلَن۔ جان کردارٕ وول۔

شیٖل رَچھُن :- طور طریقہٕ وَتہٕ تھوٗن۔ عصمتھ رَچھنۍ۔ کردارس رأچھ کرٕنۍ۔

شیٖن :- (ن۔ مؤل: شیٖن > س: شیشِر) تمہٕ نِچہٕ نِچہٕ پھمبہٕ سیر ہشہٕ یمہٕ اوبرٕ پیٹھ شٹھنہٕ کِنۍ رۄدِ بدل پیوان چھے۔

شیٖنہٕ بزأر :- (م۔ مؤل: شیٖنہٕ بزار)۔ شیٖن پَنٛشہ پیٹھ والنُک اَکھ ہَچہٕ سامانہٕ، اَتھ چھُ وَن سبٹھاہ زیوٗٹھ آسان تہٕ پأٹھ پیٹھ کُن آسان۔

شیٖنہٕ پَھنٛز :- کٔزیٖہنہٕ ٹِچہٕ کٔرِتھ اَکھ لوکُٹ جاناوار

یُسنٛد بوٗلُن شیٚن پیٚنٛچ ژٕ سنہٕ وَن مانٕنہٕ یِوان چھےٚ۔
شیٚنہٕ پھُشہِہ:۔ سُہ پھُشہِہ یمہٕ سٕتۍ شیٚن ترٛاوان چھِہ۔
شیٚنہٕ تھرُٛس:۔ آوسیمٕژ شیٚنہٕ چھل۔ شیٚنَس ہِشُر لکنہٕ سٕتۍ بنٛیومُت تختہٕ ہیُو ہ یُس وُسِتھ ییہِ۔
شیٚنہٕ تھوٗس:۔ پیوٗن وِیوٗٹھ وِیوٗٹھ شیٚن۔
شیٚنہٕ ٹُکل:۔ شیٚنہٕ وَتھ۔ لِکتھ گمتہٕ شیٚنٛچ ژُج۔
شیٚنہٕ جَل:۔ کانٛہہ سُہ چیز یُس شیٚنہٕ بنہٕ وُن آسہِ۔ (جل چھُ صرف ربڑٕ کاٹکی سے منٛز آسان)۔
شیٚنہٕ جنگ:۔ یہِ چھُ اَکھ گِنٛدُن یتھ منٛز شُری اَکھ اَکِس شیٚن لایان چھِہ۔
شیٚنہٕ دیو:۔ پیاپے پیوٗن شیٚن۔
شیٚنہٕ رٕز:۔ پیوٗن اَژھن شیٚن۔ تِیُتھ شیٚن یتھ سٕنہٕ پنٛس تھکھے گژھِہ۔
شیٚنہٕ ژَھٹھ:۔ ا۔ سُہ ترُن واو یُس شیٚن پیٚنٛچ ژٕ سنہٕ وَن دِیہِ۔ ۲۔ بالن پیٹھ شیٚن پینہٕ کٕنۍ سبطاہ سُر دھوا۔
شیٚنہٕ شَرط (کھارُن):۔ ا۔ نوٚ وشیٚن پینہٕ وِزِ اَکھ اَکِس ژٕ خبر دِنہٕ سٕتۍ کھیاونہٕ چاونہٕ باپتھ شرط (کھارُن) ورگہٕ کانٛہہ ذِمہٕ دٲری زورِ بےٚ شوٚنکی پٲٹھی مَتہٕ کھارٕنۍ۔
شیٚنہٕ گاش:۔ شیٚن پیومُت آسنہٕ کٕنۍ گٔٹس منٛز تہٕ گاش باسُن۔
شیٚنہٕ مٲنۍ:۔ ڈُلوم وَٹنہٕ آمُت شیٚنہٕ اُمبار۔ بالس بیٚتِر ڈُلہٕ وسان وَسان وَٹنہٕ آمُت شیٚنہٕ اُمبار۔
شیٚنہٕ موہنیو:۔ شیٚنَس بناونہٕ آمُت انسان ہیُو ہ۔

شیٚنہٕ ووٗنۍ:۔ وِنگلے مَتہٕ شیٚنُک آب۔ سخ ترُن پوٗنۍ۔
شیٚن ترٛاوُن:۔ تھزِ پیٹھ شیٚن بون دٲرِتھ دیُن۔ پٔشو بیٚترِ پیٹھ پھُشہو بیٚترِ سٕتۍ شیٚن واٚلُن۔
شیٚن واٚلُن:۔ ا۔ شیٚن لاگُن۔ شیٚن اَنُن۔ شیٚن پیوٗن ہیوٗن۔ ۲۔ شیٚن پٔتھر ترٛاوُن۔
شیٚنیو:۔ یہِ شیٚنَس بناونہٕ آسہِ آمُت۔
شیٚنیو ہہہ:۔ (ورگہٕ) سُہ یُسنٛد ٹٔکی پھرٕ ژھ آسہِ۔
شیٚنکھیا:۔ (ن۔ موٗل: شیٚنکھیا <س: شٕرٕ نگہِ کا)۔ اَکہِ قسمُک زہر۔
شُبہہ:۔ (ن۔ موٗل: شُبہہ <ع: شبہتہ)۔ شکھ۔ شیٚنکھ۔
شبہہ گرٛژھن:۔ شکھ گرٛژھن۔ شیٚنکھ گژھنۍ۔
شُپ:۔ (ن۔ موٗل: شُپ <س: شوٗرپہ) تومُل بیٚترِ ژھٹنُک اَکھ کانٛیو آلہٕ۔
شُپہٕ سٕتۍ واو کرُن:۔ (ہزلہٕ) اَپزِ ے چاٹکی کھارٕنۍ۔
شُپی کانٛو نِشہِ تہٕ کرُن:۔ اَصلَس تہٕ وبڑھے ژھٔنٛنۍ۔ سأری داش نداشہِ نِشہِ موکلاوُن۔
شُپی کانٛو نِشہِ گرٛژھن:۔ اَصلہٕ نِشہِ گرٛژھن۔ کینہہ نہٕ روزُن۔
شُپی کأنۍ:۔ ا۔ سوزٲ دِج تہٕ لأ وِگی لٔنٛڈ یوسہٕ زٕلِتھ شُپی بناونس لگان چھےٚ۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) یہِ کینٛہہ جاداد منٛز موٗژ یومُت آسہِ۔
شُپی کھلر:۔ نالگہٕ ہار شُپ۔ پڑا نیومُت شُپ۔
شُپی واتٕل:۔ شُپی بناوَن وول۔

شُپ تہٕ پَرِیٛن:-(ورگہٕ) نادأری۔ وٕشِھے ژَھر بر۔

شُپ تہٕ پرِیٛن وایِن کیُت روزُن:-مَرگہٕ ستی کُنےٚ موژُن۔ یتھ برونٛہہ نہٕ کانٛہہ تہِ روزُن۔

شُپر:-(م۔ مؤل: شُپر <وُ چھوُ شُپ') لوٗکُٹ شُپ۔

شُپر واتُل:-(ورگہٕ) ڈلاگن وول۔ اَگادِ گژھن وول۔

شُت:-(<ف: شُد)۔ یہ چُھ فأرسی 'شُد' لفظُک بِگار۔ م: ہتہٕ شُت۔

شُتہٕ:-(ن۔ مؤل: شُت < آوازِ پیٚٹھ)۔۲ (مُہلی) دَب۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) مار۔ چوب۔

شُتہٕ پیوٚن، پیٚنہٕ:-سَزا پیوٚن۔ مار پیوٚن۔

شُتہٕ دِیُن، دِنیٚ:-سَخ چوب دِنیٚ۔ سَخ مار دِیُن۔

شُتہٕ شُتےٚ ہنٛد وِہنٛد شرٛاکہِ ستی کیٛٹُم ہیٚیہٕ تیٛتھے سپدِم:-یہ چھےٚ اکھ پزٛژھ تہٕ مطلب چُھس قہر۔

شُتہٕ کھیوٚن:-سزا لگُن۔ مار پیوٚن۔

شُتلیٚ:-(مؤل: شُتل < س: شتپلا)۔ اکھ خطرناکھ بیمأری یمہِ ستی بُتھس نِکی نِکی پھپھر چھِ نیران تہٕ یم پھپھر چھ پتہٕ پاکہٕ نان۔

شُتلیٚ آکھ:-شُتلیٚ پھپھرک نشانہٕ۔ سُہ کھوڈ ہیٚو ہ یُس شُتلیٚ نیرنہٕ ستی روزِ۔ شُتلیٚ داغ۔

شُتلیٚ بُڈ:-۱۔ شُتلیٚ ووبا ۲۔ (ووہو) ڈلنہٕ بلاے۔

شُتلیٚ مُسر:-یُس بُتھ شُتلیٚ آکھو بَرتھ آسہِ۔

شُتلیٚ موکل:-شُتلیٚ بُڈ۔

شُتلیٚ موغُل:-(ورگہٕ) ویکھرٕ بلاے۔

شُد:-(<ف: شُد)۔ پتھ گُن گوٗمُت۔ سپُد مُت۔

شُد کرُن:-مو کلاوُن، موکلأوِتھ ژھٔٹُن۔

شُد گژھُن:-موکلُن، اَندواتُن۔ یتھ اَندبوٚر دِنہٕ آسہِ آمُت۔

شُدٕ:-(<ف: شُد) تجربہٕ کار۔ ووتمُت انسان، وأتتھ۔

شُدُر:-(ن۔ مؤل: شُدر < س: شوٗدَر) یُس نہٕ ہیٚنٛد بن ہنٛد بن پیٚٹھی مین وَرنن منٛز آسہِ ۔۲۔ سُہ یُس نہٕ اصلی پیشُک مو ہیٚو آسہِ پیشہِ وَرن نشہِ۔

شُدر رأز:-اَنأڑی پَن (کُنہِ پیشہِ باپتھ) ناوأقفیت (پیٚچ)۔

شُدنی:-سَپدُونُے۔ سُہ بناوَتھ یتھ بُچھتھ یا ژٕلتھ ہیکو زِ نہٕ۔ تقدیر۔

شُر:-(ن۔ مؤل: شُر <پزاکرت: چھاوَڈاو <شاوَ+ کہٕ، م: ہ: چھورا)۔ ۱۔ بچہٕ۔ لوکُٹ ۔۲۔ مأصُم۔ نیک بد نہٕ زانَن وول۔ بےٚ گوناہ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) ناتجربہٕ کار۔

شُر بن ستی گر کرُن گوگُر بن ستی دَب کرُن:-تہِ دُپتھ گوسہ گرِ چھُ وأران گوٗہان۔ یتھ گرس شُری خانہٕ داربٔنِن۔

شُری باپار:-(ورگہٕ) شُر بن ہُنٛد ہیٚو طور طُر یقہٕ۔

شُری باشہٕ:-۱۔ دوہٕ شُری ہنٛز کتھ۔ دوہٕ شُری سُنٛد بول بوش ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) شُرِل

شُری بانہٕ:-زنانہٕ ہنٛز بچہٕ دأنی۔

شُری باو:-شُری لأز۔ شُری گنٛدُن۔ شُرِل

شُری بأژ:- گرِ کی لوۓ کٹِ کھو بڈی ۔ گرس منز یم آسن تم سأری۔

شُری بوٗچھ:- یَس نہٕ شُر آسہِ ۔ یَس شُری سُند طمع آسہِ ۔ یُس شُر باپتھ کرِیشہِ ۔م: ڈمی بوٗچھ ۔

شُری بوٗز گرٛوھن:- شُری ہنٛز کتھ گرٛوھن۔

شُری بوٗک:- واریاہ شُری (خاص کرِتھ نِکی نِکی)۔

شُری بوچھِ:- شُر مرنہٕ آسنہٕ کِنی بے قرأری۔

شُری بوچھِ ہوٗن کوچھِ:- تہٕ ڈیٚتھ گو شُر مرنہٕ آسنہٕ کِنی چھُ اِنسان کأنٛسہٕ ہُندِس شُرس تہٕ لولہٕ مَتہٕ لاے کران یا منگِتھ رٹان۔

شُری بود:- ۱۔ شُری ہنٛز عقل ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کم عقلی۔ نہٕ زانُن ۔ بے خبری۔

شُری پأتھر:- وُچھو "شُری باپار"۔

شُری تماشہِ:- ۱۔ شُرن ہُنٛد گِندنٕکی چیز ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سُہ چیز یَتھ کانٛہہ مول آسہِ نہٕ۔ سُہ چیز یُس گٕنہِ لگہِ نہٕ۔

شُری دود:- شُری بوچھِ۔

شُری سُند بول بوش زانہِ شُری سُند مول موج:- ۱۔ تہٕ ڈیٚتھ گو زِ لوٗکٕٹ شُر یہٕ کینٛہہ ہاوان چھُ تتھ چھُ تٕمی سُند مول موجی مانے کڈِتھ ہیکان۔ ۲۔ کأنٛسہِ ہنٛز کتھ چھےٚ تنٛتھ آسان یو سہٕ دأقفے یأژ تٕرٛ فِکرِ۔

شُری سیتھ:- کھوکھُس ۔ شُری سُند گٕنہِ نہٕ تہٕ گٕنہِ چیزَس سٕتیٚ گِندنٕک عادتھ۔

شُری کتھ:- سو کتھ یَتھ کانٛہہ بوٗر آسہِ نہٕ، شُری ہنٛز ہش گٕتھ ۔ چأری گٕتھ ۔ یَتھ گٕتھ کانٛہہ مانہِ مطلب آسہِ نہٕ۔

شُری کتھِ گرٛوھن:- ۱۔ شُری کتھِ پٮ۪ٹھ عمل کرٕنی ۔ شُری سُند وَنُن پوٗز مانُن ۔۲۔ شُری ہنٛزِ کتھِ پٮ۪ٹھ پتھے ہیٚو گرٛوھن۔

شُری کُٹ:- اکہِ گرٕکی سأری شُری ۔ شُری مُری۔

شُری گری یول:- ۱۔ سُہ گرٕ یَتھ منز کماوَن وألی کم تہٕ کھیٚنہٕ وألی زیادٕ آسن ۔۲۔ سُہ گرٕ یَتھ اَندرنہٕ کانٛہہ مُری دِیا دَم آسہِ ۔

شُری گِنٛدُن:- ۱۔ شُرٕل ۔ ۲۔ بڈی ہُندی ڈٕسی تہٕ سپدُن یہٕ شُری ہے شوٗبہِ ۔۳۔ وَقت ضایہِ کرُن ۔۴۔ کانٛہہ سنٛجید مامِلہٕ مسأوی زانُن ۔

شُری لأز:- شُری گی، شُرٕل، ناسنٛجید گی۔

شُری لأز کرٕنی:- شُرٕل کرٕنی ۔ پھرٕ وت لاگُن ۔

شُری مُری:- وُچھو "شُری بأژ"۔

شُری وول:- یَس شُری زاتی آسن ۔ موتہٕ بَر۔ بالِغ۔

شُری وول کھیٚیا ہری وول پٔنُن:- تہٕ ڈیٚتھ گو یَس بوٚڈ عیال آسہِ تَس چھُنہٕ شُری نٕہ برابٔری یوان۔

شُری ویوٗت:- شُری ہُندی کِنی ہیٚنہٕ آمت۔

شُری ہُر:- شُرِ بن ہنٛز ژٕو ژٕو ۔ سو گٕتھ یَتھ سَنُن پزِ نہٕ، تہٕ کیازِ شُری چھِ بیٚیہ کٕنی آسان۔

شُرِ ئہرِتھُر کھسنی :- شُر بن ہنٛدِس ژُؤ تِس پیٚٹھ بُڈ لڑٲے گژھنی، موموٗلی کتھِ پیٚٹھ نیٚاے ووتھُن۔

شُر چھُ بڑوریُس وولہِ وولہِ کرِبس تسی چھُ گژھان :- تہِ دُپتھ گو، شُر چھُ بر آری سِنٛدی پٲٹھی مایہِ ہُنٛد، یُس ماے بربس تس گُن لارِ۔

شُرکتہِ شُر کتہِ شُرنکھس کیتھ :- تہِ دُپتھ گو کانٛہہ چیز پانٛس اَتھِ اَستھ تہِ سُہ بدحواسی کنی اور یورِ ژھانڈُن۔

شُرگو گُرنہٕ لگبس ئتر تہٕ نہٕ ییٚس یڈ :- تہِ دُپتھ گو شُرِس چھےٚ ئترکم پوران تہٕ کھتھ پتھ چھُ بیٚیہِ پھیا نگان۔

شُرلاگُن :- تہِ کرُن یہِ زَن شُرکرِ۔ شُری سِنٛز ہشہِ حرکژ کرنہِ۔ خام طمع گژھن۔

شُراہ :- (موٗل: شُراہ < س: شوڈشہٕ) داہ تہِ شےٚ۔ اکھ دوٚہو تہِ شےٚ۔

شُر ہَو یارِ بلو پھِر وِتھ ترٛیشہِ ہوٚتےٚ اَنُن :- تہِ دُپتھ گو بڈ بُڈی وادِ دِتھ تہِ پتو لاکن نہٕ کینٛہہ کرُن۔ واریاہس کالس وومیدوار تھٲوِتھ پتہٕ تس ناوومید کرُن۔

شُرِل :- شُری گی۔ ناسٔنجیدگی۔

شُرِنی :- (م۔ موٗل: شُرنی < آواز پیٚٹھ)۔ ۱۔ سیٖٹی۔ پیٖنی۔ ۲۔ پینہِ ہنٛز آواز۔ ۳۔ سبٹھاہ کم پوٚنی۔ پکہِ وِنی پاں رَژھا۔ م: کولہِ چھےٚ پاں شُرنی پکان۔

۴۔ پھوکھ، ہٕس۔

شُرنی کرِنی :- شُنگر کرِنی۔ ہس دیُن۔ زیرِ دِنی۔

شُرنی گژھنی :- حبس پیوٚن۔ ژینہِ وَن لگنی۔ ۲۔ (ورگہِ پٲٹھی شنگر گژھنی۔

شُرنی وانٛنی :- پینہِ پھوکھ دِتھ تمہِ منٛز آواز کڈنی۔

شُس :- (موٗل: شُس < ف: سُست)۔ ۱۔ سُست۔ ہٹیومُت۔ برِ گومُت۔ ۲۔ یُس نہٕ تیز چلہِ۔ ۲۔ گوٚٹ۔ چھتیومُت (رنگ بیترِ)۔

شُس گژھن :- ۱۔ کمزور گژھن۔ ہرُن۔ بُتھِ لیٚدرُن۔ ۲۔ (رَنگ بیترِ) چھتُن۔

شُستتھ :- (< س: شَڈ سپتَتِہ) شییہ پیٚٹھ ستتھ۔

شُستری :- ۱۔ کمزوری۔ نیٚژمہِ گی۔ ۲۔ سوژَر۔

شُکر :- (ن۔ موٗل: شُکر < ع: شُکر) اَسوتتھ۔ احسان مانُن۔

شُکر کرِوُن :- وُچھو "شُکر گُذار"۔

شُکر کرُن :- احسان گنٛزراوُن۔ احسانُک اِظہار کرُن۔

شُکر گذار :- (< ع: شُکر + ف: گذار)۔ شُکر کرن وول۔ احسان مند۔

شُکر گذاری :- احسان مندی۔

شُکرانہِ :- ۱۔ شُکر۔ ۲۔ نماز، خٲراتہٕ یا بیٚیہِ کُنہِ طٔریقہٕ خودایہ سُنٛد شُکر کرُن۔

شُکریہِ :- (کانٛسہِ ہنٛز) مِنتھ کھسِتھ احسان مندی پرٛژھی وَننہٕ یِوان۔

شُکھُر :- وُچھو "شِکھُر"

شُمار:-(ن مؤل شُمار حف شُمار)۔ گرٛنٛد، گَنٛز رُن، تیداد۔

شُمارَس آسُن:- گرٛنٛزمنٛز آسُن۔ مُجراہس آسُن۔ کانٛسہِ فِکر کھسُن۔

شُمارَس منٛز اَنُن:- گَنٛز راوُن۔ گرٛنٛز منٛز تھوُن۔ مُجراہیوٗن۔

شُمارِ بوٗد:- سیٹھاہ واریاہ۔ گٔتُل۔ بِسیار۔ گرٛنٛز روٚس۔

شُمار تھوُن:- گرٛنٛدِ تھوِنی۔ حساب تھوُن۔

شُمار راوُن:- گرٛنٛزِ پھیُر گرٛھن۔ حساب نہٕ وارِ پٲٹھی بوزُن تَگُن۔

شُمار کرُن:- گَنٛز راوُن۔ گرٛنٛد ہیٚنٛز۔ تیداد وُچھن۔

شُمارنہٕ آسُن:- بےٚ حساب آسُن۔ گٔتُل آسُن۔ غلبہٕ آسُن۔

شُمار ہیوٚن:- گرٛنٛد کرِنی۔ گَنٛز راوُن۔ تیداد وُچھن۔

شُمارِ:-(ن۔مؤل: شُمار حف: شُمار) اَخبار یا رِسالہٕ ہِنٛز یَک نَمبر۔

شُمال:-(ن۔مؤل: شُمال <ع: شُمال)۔ وۄتُر کھوٚورِ پوٚر۔

شُمٲری:-(حف: شُماری) گرٛنٛد۔ م: رائے شُمٲری۔

شُمٲلی:- شُمالُک۔ وۄترُیُک۔

شُمر:-(ن۔مؤل: <ع: شوم۔ شام کہ)۔ ا۔ کوٗنٛڈ۔ کوٗنٛجوٗس۔ ۲۔ کربلاہکِس جنٛگس منٛز یَزیدی فوجُک کمانڈار۔

شُمر بر:- کوٗنٛجوٗسی۔

شُمشان:-(ن۔مؤل: شُمشان <س: شَمشانہٕ)۔ ا۔ آوٕر ہیٚنٛز، مَرگٕھ، راز بَل، یِیتہِ مورٕدس داہ چھ رِوان۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) وٲران جاے یِیتہِ کانٛہہ روزان آسہِ نہٕ۔

شُمشانہِ بٲرو:- رازِ بَلُک رٲچھدر۔ آورِیٚنہِ ہُنٛد پاہسکی دَر۔

شُمشانہٕ وٲراگ:- ا۔ کُنہِ مصیبتہِ وِز آمُت جیرٕ یُس نہٕ روزِ وُن آسہِ۔ ۲۔ سُہ کِتھہِ بحث یا دٕلیل یُس کانٛہہ کُنہِ بلایہِ منٛز گیر گژھنہِ وِزی یوت دِیہِ۔

شُمشان بَل:- وُچھو "شُمشان"۔

شُنمتھ:- وُچھو "شنے" لفظس تَل۔

شُنیا شُنٛز:-(ن۔مؤل: شُنیا، شُنٛز <س: شوٗنیہَ)۔ ا۔ ژھوٚر، خٲلی آسنٕچ حالتھ۔ خلا۔ ۲۔ صِفر شوٗد۔ ۳۔ وٲران جہات۔ ۴۔ (دوہوتہِ) وٲرٲنی۔

شُنیا کار:-(ن۔مؤل: شُنیا کار <س: شوٗنیا کار)۔ سُہ باس یُس دِک کال یا نہِ زمینو زمانہٕ کہٕ قاُدٕ سیر چھُ مانہٕ یوان۔

شوٗنٛز واہ:- وُچھو "شنے" لفظس تَل۔

شُہ:-(ن۔مؤل شُہہ <س: شوٗتھ)۔ ا۔ کٔتھ کوٚش، تُل کنٛز، کِکر۔ ۲۔ شِشرِس منٛز ترٕ ستی اَتھس کھورَس بیترِ اکہِ قِسمُک دود یُس سخ ژھن ٹُلان چھُ۔

شُہ ژٕج:- ا۔ کھورَس بیترِ شُہہِ ستی گمژ گوژ گج۔ ۲۔ شُہہ دَتھ۔ شُہہ ستی گومُت لختہِ۔

شُہ لَد:- ا۔ یُس شُہہ آسہِ گومُت۔ ۲۔ سوسبزی بیترِ

یتھ کٔٹھِش آسہِ پور یومُت۔

شُہہ پھٔسُن:۔ شُہس (تچھنہٕ کنی) رٔس نیرنہٕ لگُن۔

شُہہ کرُن:۔ ۱۔ سخ ژھٔٹھ کرٕنی ییمہِ ستی سارٕی ہے تُل کنتر لگہِ۔ ۲۔ شُہی دود کرُن۔

شُہہ گرٕژھُن:۔ وُچھو "شُہہ کرُن" مانے ۲۔

شُہہ لگُن:۔ ہۄنٛدُر لگُن۔ بٕشُر گاٗنٹھ گرٕژھنی۔ تُل کنتر لگُن۔ شُٹُھن۔

شُہارُن:۔ (ن۔ مۄل: شُہارن < انگ: شۄ ہارن: Shoehorn) بُوٹہٕ ژالُن۔

شُہاٹھ:۔ وُچھو "شیٚ" لفظس تل۔

شُہُل، شٕہُل:۔ (ن۔ مۄل: شٕہُل < س: شِشِر / شیتلہٕ)۔ ۱۔ ژھاے۔ ییٚتھ نہٕ تاپھ آسہِ۔ سو جاے یتھ پٹھ ژھاے آسہِ۔ ۲۔ راحتھ۔ ۳۔ کھٕنہٕ چیز بیترٕ ییمہِ ستی شیٚہلتھ پیٚیہِ۔

شٕہج بۄنی:۔ سو دبد یوسہٕ سارِنے ہُند رُت کانچھِ، رفاقت کرِ۔

شٕہج کتھ:۔ یوسہٕ کتھ ہمدردی سان کرنہٕ یِیہٕ۔ دِلاسہٕ۔

شٕہج گُج:۔ (ورگہٕ) نرم تہٕ دردمند (زنی)۔

شٕہلی گُل:۔ ۱۔ چھٕہج دار گُل۔ سُہ گُل یتھ کانٛہ باٹھ پٹھ آسہِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) رُت، آسائش واتناوَن وول۔ آرام دِنہٕ وول۔

شُہُل کرُن:۔ ۱۔ تھکھ کڈُن۔ شیٚہجارس بہُن۔ ۲۔ راحتھ تُلن۔

شۄب:۔ (م۔ مۄل: شۄب < س: شوبھا)۔ دِوَتھ۔ خۄبصورتی۔ رونق۔

شۄبہٕ دار:۔ دِۄژُ وول۔ رَنٛبہٕ وُن۔ خوش بِوُن۔ نُنٛد بون۔

شۄبہٕ سورت:۔ وُچھو "شۄبہٕ دار"۔

شۄب انٛنی:۔ ۱۔ رَتھ کھارُن۔ رَمب اَنُن۔ ۲۔ (ہزلہ) خراب گرِتھ ژھٕنُن۔

شۄب کاسٕنی:۔ کٔنہِ کارُک نہٕ تھوٗن، خراب کرُن۔ دِوَتھ ٹلُنی۔

شۄب لاگٕنی:۔ نچھِ ناوُن۔ شۄبراوُن۔ ناو کڈُن۔

مِ: زَنانے آسہِ مردس شۄب لاگیس
گہے طالب گہے مطلوب لاگیس (محمود گامی)

شۄب ہیٚنی:۔ ۱۔ رَتھ کھسُن۔ ۲۔ وارِ کارِ انٛد واتُن۔ ۳۔ (ہزلہٕ) کام بِگرٕنی۔

شۄبُل:۔ (< س: شوبھا)۔ رَمبہٕ وُن۔ شۄبدار۔ مِ:

زومیانے گُل اَنارے
چھی شۄبِلی گلہ تہٕ رَمبہٕ وٕنہٕ مژھے
یم ییلہٕ دزنے دوز جنہٕ نارے
اَدٕ کیا کرٕ تہٕ اَدٕ کور گژھے (شیخ العالم)

شۄبہٕ وُن:۔ دِۄژُدار۔ رَمبہٕ وُن۔ مارٕ مۄنٛد، نُنٛد بون۔

شۄبُن:۔ (ن۔ مۄل: شۄب < س: شوبھنہٕ)۔ ۱۔ بجُن، رَمبُن۔ ۲۔ پزُن، کرُن۔ واتُن۔

شۄبیٚو مُت:۔ رَتھ کھۄتمُت۔ شولہٕ نیومُت۔

شۆبراوُن:-وِچھو"شۆبرُن"۔

شۆبرُن:-رَتھ کھارُن، رَمب اَنُن، پرٛزلاوُن، پھولہٕ نٲوُن۔

شۆتھ:-(ن۔مۆل: شۆت <س:شۆیتہ) سفید رنگہٕ مونگ۔ اَکھ دالہٕ قسم۔

شۆد:-(<س:سودکہ) تپاکی مُصیبتھ۔ گرتھ کرٛ اُتھ نہ یوٗن یانہ وٕتھ (آسُن)(زنانہٕ ووہوتہٕ) تپاہی۔

شۆدِ لد:-یُس مُصیبتو وٕلُمت تہٕ پووُمت آسہٕ۔ شِکس لد۔تاوَن زَد۔

شۆدل:-شودِ گی۔

شۆڈِش کلا:-(م۔مۆل: شوڈش کلا<س:شوڈشہ+کلا) شُراہ دَرجہٕ (زُوٗنہٕ بیترٕ ہِندی)

شۆر۔شِۆر:-سو لوکٕٹ پٕٹ یُس مندرٕ دوسہٕ کھجرٕ اَندٕ میٛوٗہرتھ ژَلنہٕ نشہٕ بچاونہٕ خاطرٕ رادٕ پٕچِن مزٕ پھساونہٕ چھےٚ یوان۔

شۆری پٕٹ، شِۆری پٕٹ:-وِچھو" شۆر"۔

شۆرِش:-(م۔مۆل: شۆرش <ف:شورِش)۔ا۔(گنہٕ پٹھ وُژھنہٕ) کرٛکھ، چخ۔۲۔فساد۔۳۔تحریک۔ ایجِٹیشن۔

شۆرِش ژٕلنۍ:-ایجِٹیشن ژٕلنۍ۔فساد ژٕلُن۔

شۆرِش ووٕتھنۍ:-ایجِٹیشن ووتھنۍ۔

شۆژ (شٕرٛ وُژ):-(مۆل: شۆژ <س:شُوچہ)۔ا۔پوٚترٕ۔ پاکھ۔۲۔سیٚہ نہٕ ژھیٛوُمت آسہٕ۔

شۆژراوُن:-(ورگہٕ پٲٹھی) چاروٕوے بیترٕ بالہٕ کرُن۔

آہتہٕ کرُن۔

شۆش:-(ن۔مۆل: شۆش <ف:شُش)۔ا۔جسمُک سُہ بَندیا حصہٕ یمہٕ سۭتۍ شاہ چھہِ ہوان۔۲۔(ورگہٕ پٲٹھی) سبٹھاہ ٹوٹھ۔یمۍ سُند موٚحبتھ آسہٕ۔۳۔ٹاٹھنیار سان شُرِس تہٕ وَنان۔م: ییٚہہ سا شوشا پتھر۔

شۆشہِ تِکھ:-شۆشہِ پھوٚل۔شۆشُک مازٕ پھوٚل۔

شۆشہِ نور:-شۆشۍ سونٲلی یپٲری شاہ ہوان چھہِ۔سُہ نلکہٕ ہیٚو یپٲری شاہ چھہِ ہوان۔

شۆشہِ ہوٚر:-شۆشچہٕ زٕ پکھ۔

شۆشہِ ہوٚر لگُن:-اَکھ بمٲری یمہٕ سۭتۍ بمارس شاہ ہنس مزٕ تختی چھےٚ یوان۔

شۆشہِ ہوٚر رہو کھن:-سبٹھاہ کرٛکہ دِنہٕ پیٚنہٕ۔

شۆش وَندُن:-ا۔بلایہٕ لگُن۔رَتہٕ چھیٚپہٕ لگُن۔۲۔لول برُن۔۳۔زارٕ پارٕ کرُن۔مِنتھ مدار کرُن۔

شۆقین:-(مۆل: شۆقین <ف:شوقین)۔ چاوٕ وول۔ یَس شوق آسہٕ۔شوقہٕ وول، یاوٕ۔

شوکھ:-(ن۔مۆل: شۆک <س:شوکہ) ماتم افسوٗس۔

شۆکس گرٛژھن:-غم ہیوٚن۔ماتم دٲری کرٛنی۔

شۆکھ پیٚوٚن:-ماتم پیٚوٚن۔غم پیٚوٚن۔

شۆکھ ہیوٚن:-ماتم کرُن۔افسوٗس کرُن۔دوکھ ہیوٚن۔

شۆم:-(ن۔مۆل: شۆم <ع: شو) کوٗنجوٗس، کوٗنٹھ۔

شۆمی:-(<ع: شوم+ی) شۆمہٕ گی۔کوٗنجوٗسی۔

شۆد:-(ن۔مۆل: شۆد <س:شُدھ)۔ا۔رَلہٕ رٕوس۔

یتھ مِلاوٹھ آسہٕ نہٕ، صاف۔ یتھ نہٕ مالہٕ گی آسہٕ۔
۲۔ دِلہٕ صاف۔، کھوٹھ کُٹایہٕ روس۔ ۳۔ کپٹہٕ
روس۔ یُس نہٕ ژَھل کھپٹھ زانہٕ۔

شۆرۄ:۔(ن۔مؤل: شۆرۄ<ع: شرؤع) گوڈٕ۔ ابتدا۔
ئُن۔

شۆرۄ کرُن:۔گوڈٕ ہیُن۔ ابتدا کرُن۔

شۆرۄ گژھُن:۔گوڈٕ لگُن۔ اِبتدا سپدُن۔

شۆزرن:۔ (م۔مؤل: شۆزرن <س: شوُدھنہ)۔
ا۔شۆ دیا خاُلص بَناوُن۔ ۲۔غلطیہٕ کڈٕنہٕ۔

شۆزراوُن:۔(ن۔مؤل: شۆزراو <س: شُددھ)
ا۔صاف کرُن۔ ژھٹھ کڈٕنۍ۔ رَل بیترِ نہٕ
تھاوُن۔ خاُلص بناوُن۔ ۲۔غلطیہٕ کڈٕنہٕ۔

شۆزرُن:۔(ن۔مؤل: شوزَر <س: شُددھ)۔
ا۔صاف کرُن۔ ۲۔غلطی کڈٕنۍ۔ ۳۔ وُلنے کرٕنۍ۔
کِچھ بیترِ کڈِتھ ژھٹُن۔ پاُنژرُن۔

شۆزرو ومُت:۔ا۔صاف کوٚرمُت۔ یتھ نہٕ رَل
بیترِ آسہٕ۔ ۲۔ٹھیکھ کوٚرمُت۔ وَتہٕ لۆگمُت۔

شۆعوٗر:۔(ن۔مؤل: شۆعوٗر<ع: شعور)۔ا۔ گاٹہٕ جار۔
تمیز۔ حوصلہٕ۔ باش۔ ۲۔ پوزشوژ۔ بود۔ فہم و
فراستھ۔ ۳۔حبس۔ اِحساس۔

شۆعوٗر آسُن:۔ا۔گاٹہٕ جار آسُن۔ تمیز آسُن۔
حوصلہٕ آسُن۔ ۲۔ بوز شوژ آسٕنۍ۔ بود آسٕنۍ۔
۳۔حبس آسُن۔ اِحساس آسُن۔

شۆغُل:۔(ن۔مؤل: شۆغُل<ع: شغل)۔ا۔کاٗم کار۔
پیشہٕ۔ ۲۔ تفریح۔ گِنٛدُن بیترِ۔ ۳۔ آور بر۔
۴۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) وُلٕہٕ کار۔

شۆغُل کرُن۔شۆغلہٕ کرُن:۔ا۔گِنٛدُن دزٕ وکُن۔
عاٗش کرُن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) کوفیل کرُن۔
کانٛہہ وُلٕہٕ کار کرُن۔

شۆف:۔(ن۔مؤل: شف<ع: شفع)۔ا۔اِحساس۔
فاٗیدٕ۔ نفع۔ اتھہٕ روٚٹ۔ ۲۔مٔلی ہینٛگ ترجیحی حق۔

شُفی یُن:۔بکاریُن۔ اتھہٕ روٚٹ کرُن۔

شۆف آسُن:۔مہربانی آسٕنۍ۔ مِنتھ آسٕنۍ (کاٗنسہٕ
ہٕنٛز)۔ ۲۔مٔلی ہینٛگ ترجیحی حق آسُن۔

شۆکُر:۔(ن۔مؤل: شوکُر<س: شُکرٕ)۔ اکھ گرٛہہ۔
گاشہٕ تارُک۔

شۆکُر پاٗلکی:۔اکھ شُری کھیل یتھ منٛز اکھ شُر بیٚیس
شُرِس گردَنہٕ منٛز تَرِ زِ ترٛاٗوِتھ ترٛنِگر ہیٚوٗ اوٚیزان
چھُ گژھان۔

شۆکُر وار:۔(م۔مؤل: شۆکُر وار<س: شُکرٕ وار) جُمعہ۔
سوٗوار بوٚسہٕ بڑسوار بِتہٕ بِتہٕ بٔڈہٕ وار برٛونٛہہ یوان چھےٚ۔

شۆکُل:۔(ن۔مؤل: شۆکُل<س: شُکلہٕ) سفید۔ شوٚد۔
برزٕلہٕ وُن۔ م: شۆکلہٕ رَنٛگ (شوٗلکِن)۔

شۆکلہٕ رَنٛگ:۔چھوٚت، سفید رَنٛگ۔

شۆگُن۔شۆگُن:۔(<س: شگُنہٕ۔ مُ۔ف: شگون) وُچھو
"شوٗگون"۔

شۆکلم :-(ن۔مؤل: شوکلم)۔کانٛہہ رٕژ کأم شۆرٕوٗ کرنہٕ وِزِ ونان۔م:بسمِ اللہ۔

شۆکلم کرِتھ :-بگوانہٕ سُند ناو ہیتھ۔دٕے سۆرِتھ۔

شۆکلہِ پچھ:-(ن۔مؤل: شۆکلہٕ پچھ <س: شُکلہ پکشہَ)زوٗنہٕ پچھ۔

شۆگوٗن:-(ن۔مؤل:شۆگوٗن <ف:شگون:س:شکُنہَ)۔ ا۔ یہ بروٗنٛہہ گن بٔنی آسہِ،رُت یا کرُٹ، تٔمۍ پیشگی علامتھ۔تیُتھ کینٛہہ یمہِ تلہٕ شُچِہ ہیٚکو زِ کۍژتھ زِ بُتھِ چھارُت وُچھن یا کرُٹ۔فال۔ مِ:رٕژیا کرُژوٗ نگ،پونٛد بیترِ۔۲۔نذرانہٕ یُس پھرٕ یزٕرکاڈنہٕ باپتھ دِنہٕ ییہِ۔

شۆگوٗن پالُن:-زَنگ وُچھنۍ،پھرٕ یزٕر، باپتھ کینٛہہ دیُن۔وَقت وأتِتھ تہِ کینٛہہ ییٚہ کرُن۔ یہ پٔتھ گن پھرٕ وُژ آسہِ وزامُت۔

شۆمبوٗ:-(ن۔مؤل: شۆمبوٗ<س: شَمبھُ)۔رُت کرن وول۔شِوٕ ناتھن اَکھ ناو۔

شۆمبوٗ ناتھ:-(ن۔مؤل:شۆمبوناتھ<س:شَمبھُ+ناتھ) وُچھو ’’شۆمبوٗ‘‘۔

شۆمرُن:-(ن۔مؤل:شۆمر<س:شَمنہ)۔ا۔ژھیٚوراوُن۔ ہَمہِ ناوُن۔ہۆمراوُن۔۲۔نرماوُن تیٚہہ وانٛلۍ۔

شۆوُزد:-خجل گومُت۔

شۆ:-(ن۔مؤل: شو<اَنگ :شوShow)۔ا۔کاشہِ (ڈرامہٕک،فلمہِ یا سرکسک بیترِ)۔۲۔شۆب شکل ظأہری نَپہ ناو۔۳۔ہاوباو۔۴۔فلم یا بیٚیہ کانٛہہ تماشہِ ہاونہٕ ییٚنگ مُقررٕ وَق۔

شورُوم:-(ن۔مؤل: شورُوم <اَنگ : شورُوم) سُہ کمرٕ یتھ اَندر خرِیدارَن کٔشش کرنہٕ باپتھ کِننہٕ کہٕ ساما نکۍ جان جان نۆمُونہٕ سجأوِتھ تھوَنہٕ یوان چھِ۔

شوکیس:-(ن۔مؤل: شوکیس <اَنگ :شوکیس Showcase)۔اَکہِ خاص قسمُک شیشہِ لأگتھ المأری یتھ منٛز دُکاندار کِننہٕ باپتھ چیز سجأوِتھ تھوان چھِ۔

شوبہ:-(ن۔مؤل: شوب <ع: شعبۃ)۔صیغہٕ۔کُنہِ محکمُک کانٛہہ حِصہٕ۔

شوٹھ:-(مؤل: شوٹھ <س:سُٹھ/شوٹھ)یہٕ(بچارٕ)سُہ (بچارٕ)م:سُہ شوٹھ۔

شوخ:-(مؤل:شوخ<ف:شوخ)۔ا۔تیز۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ)مزازٕ کنۍ ترٛوٗش یا تیز۔

شوخ رَنگ:-تیز رَنگ۔

شوٗدٕ:-(ن۔مؤل: :شود)۔ا۔نٔشی اِنسان۔خاص کٔرِتھ سُہ یُس کُنہِ نٔشی چیزٕک دٕہ آسہ چوان۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ)ڈوٗلمُت۔یُس لوٗرِ کنہٕ پۆرۍ کتھِ آسہِ کران۔

شوٗدٕ باپار:-شوٗدَن ہُند طُرٕ یقہٕ۔سُہ وُطیرٕ ییٚس شوٗدٕ ورتاوان چھِ۔اَکھا کَس ستۍ بے حساب وَرتاو۔ جہالتھ۔

شوٗدِ بَکھر:- شوٗدَن ہُنٛد بکواس بےٚ مقصد کتھ۔ سُہ بکواس یتھ پتھ پھِہِ تلکی زِنہٕ۔

شوٗدِ بٹھ:- شوٗدَن ہنٛدِ سمنٛج جاے۔

شوٗدِ پینٛڈ:- وُچھو "شوٗدِ بٹھ"۔

شوٗدِ تٕر:- ا۔ نشٕک سخ طلب۔۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) جہل۔

شوٗدِ تکی یِہ:- سُہ کُٹھ یا وان یتھ شوٗدِ چرِس، چونٛڈ بیترِ چوان آسَن۔

شوٗدِ چلِم کرٕنی:- پتھ برونٛہہ وِچھنہٕ روٗس خرچ کرُن۔ بےٚ پھکرٕ کھ پاٗٹھی چونیاٹونیا کرُن۔

شوٗدِ وان:- شوٗدَن ہنٛز بٹھ۔ شوٗدَن ہنٛز سمن جاے۔ سو جاے یتِہ چرٕسی چرِس چوان آسَن۔ اُفین کھینہٕ والین ہنٛز مَندٕر ج۔

شوٗدِ گی:- شوٗدِ سُنٛد ہیوٗ وُطیرٕ۔ اُرٕ ری نہ یوٗری کتھ۔ بکواس۔ بکھر، کتھن نہ سبز رآسُن۔

شوٗرٕ ا:- (ن۔ موٗل: شور حف: شور)۔ ا۔ کرٕ یکہٕ ناد۔ بکواس۔ ۲۔ (ناراضگی بیترِ کِنی ٹچھر) کرٕ کھ۔

شورِ مِحشر:- قیامتکہِ دُہک ہیوٗ شور۔ سیٹھاہ زیاد کرکہٕ ناد۔ سخ شور۔

شور شَر:- سخ کرٕ کہٕ ناد۔ سخ پرٕ ژھِ گاٗر۔ تلوطم۔

شور ٹُلُن:- کرٕ کھ تُلنی۔ گرٕ زتُلنی۔ ۲۔ وولُن۔ ناراض گژھن۔

شور کرُن:- کرٕ کہٕ ناد کرُن۔ سخ بکواس کرُن۔

شور ووتھن:- ا۔ کرٕ کھ ووتھنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھی)

پُرخاش لگُن، پرٕژھ گاٗر سپدٕنی۔

شوٗرٕ ا:- (ن۔ موٗل: شار)۔ یُس اکھا اُچھ زنتہٕ اکس طرفس تہٕ بیا کھا اُچھ بیِیس طرفس وِچھان آسہِ تہٕ تَس کُن وُچھتھ باسہِ۔ ژٕے کُن وِچھان مےٚ کُن زَن۔

شورٕ:- (ن۔ موٗل: شور حف: شورہ) بورٕ د۔ لیٚدٕ رِ رنٛگہٕ اکھ سوٗفوٗف۔ یتھ رگرٕ لکنہٕ ستی نار چھُ ہوان۔ سُہ مادٕ یُس آتش بازِ تہٕ توپھہ تُفکن لگان چھُ۔

شورِ ٹاس:- سُہ گرٕ ڈٕنی یُس شورٕ کہِ پھٹنہٕ ستی گوٗھان چھُ۔ شورِ پھٹنٛچ یا اَمکہِ رگرٕ کھنٛچ آواز۔

شورِ قلم:- شورٕ چ بناوٕ مٕژ لوٗر ہش یوسہٕ سرونٛگہٕ بیترِ پھاٹونس لگان چھےٚ۔

شورِ گوٗر:- شورِ تیار کرن وول۔ بورٕ د بناون وول۔

شورِ میژ:- ژوٗج تہٕ ژاٗش میژ۔ یتھ فصل آسہِ نہ بوان۔

شورِ وَوٗن:- سُہ ناکارٕ ورتاو کرُن یُس پتہٕ پانہٕ وَلنہٕ ییہِ۔ ناکارٕ ورتاوٕ ستی لوٗکھ دُشمن بناوٕنی۔

شورِ ناوُن ا:- (ن۔ موٗل: شورناو حدٕ وُچھو۔ شور)۔ شور تُلناو ناوُن۔ اِسرار ےٚ مِلہٕ ناوٕنی۔

شورِ ناوُن ۲:- وولہٕ ناوُن۔ ژٕ کھ کرُن۔

شورُن:- (ن۔ موٗل: شور حدٕ وُچھو۔ شور)۔ وولُن۔ شرار تھ کھسُن۔ ناراضگی کِنی بَنٛی تُلُن۔

شورژَر:- پاٗک پزٕ گی۔ شوزَر۔ صفاٗیی۔

شوشہِ:- (ن۔ موٗل: شوٗش حف: شوشہ)۔ شوٗوَے ژٹہٕ کتھ ییمہٕ ستی فِتنہٕ ووتھِ۔ ٹُرٕ ی۔

شوشہِ باز:-ٹُڈ تژاون وول۔اَپزٕ شاوِیہ تژاوَن وول۔
شوشہِ تژاوُن:-ٹُڈی پھہلاوِنی۔ اَپزٕ کتھ بازرس منٛز تژاونہِ۔شاوَے پھُہلاوِنی۔
شوق:-(ن۔مؤل:شوق <ع:شوق)۔چاو۔سبٹھاہ خاہش۔ہاوس۔من کینٛہہ کرنس کُن کھچنہٕ یُن۔
شوقہِ اَنُن:-لَیہِ اَنُن۔وولسنس اَنُن۔تمبلاوُن۔
شوقہِ سان:-بخوٗشی۔رَضامندی سان۔
شوقہِ یُن:-وولسنس یُن۔لَیہِ یُن۔تُمبلُن۔
شوقہ تہٕ پولُسن:-پوٚترزایہِ مُبارکھ۔(یہِ چھہ بٹہٕ لوسہِ تہٕ زاشرِ ش بُرزٕ میٹ کڈن وِزِوَنان)۔
شوق گژھُن:-مَن تمبلُن۔کُنٛیک چاو آسُن۔کُنہِ پتھ من ووٚتھ کڈُن۔
شوگہٕ:-(ن۔مؤل:شوگ <س:شکہ)۔۱۔اَکس جاندارِ سُند ناو۔توتہٕ۔۲۔گزٕ بٹہٕ کھارِ ستیٛ گُنڈِتھ سہٕ ہیوٚ جاناوار ہیوٚ یَس گزٕ بٹہٕ کنہٕ ستیٛ ٹاس ٹاس لگنہٕ کنٛی کھارِ منٛز پھَل گزٕلس منٛز چھُ وَسان تہٕ پہنہٕ چھُ یوان۔۳۔زُو،آتما۔مِ:شوگہٕ ژٕلہِ نیرِتھ پنجرِ مٹھِم۔(نُندریوٚش)
شوگہٕ تُت:-۱۔(ورگہٕ) کانٛہہ تیٚتھ چیز یتھ ساری خام طمع گژھن۔مُ:تتہٕ ماچھ۔سہٕ چیز یتھ وُچھتھ وُچھن والی تمبلَن۔۲۔تژھ کانٛہہ کتھ۔یتھ پیٹھ نہٕ پژھ ہیکی زِ کرِتھ۔نابدتنگ۔
شوگہٕ ژھیوٚٹ:-سہٕ میوٚ۔یتھ جاناوار داغ آسہِ دِتمُت۔
شوگہٕ شُرِنی:-میٛزٕ ہنٛزٕ بنے ہنٛز گاری شکلہِ پٔنٛز۔
شوگہٕ لٕر:-(م۔مؤل:شوگہٕ) اکہِ بانہٕ ہنٛدِس لانٛژس تژاونہٕ آمٕت پُش۔
شول:-(ن۔مؤل:شال) ہامہٕ پھلہٕ چالہِ اَکھ فصل یُس خوشکھ زٔمینس بووان چھُ۔
شالہِ بیٚالہِ زانُن:-(کانٛسہٕ متلق) سورُے کینٛہہ مولوٗم آسُن۔پزٕتھ کُنہِ چیزٕ چ تہٕ کتھِ ہنٛزٕ خبر آسٕنٛز۔اول وانٛگُن خبر آسٕنٛز۔
شالٕ توٗنج:-شالٕ دانہٕ۔شالٕ پھوٚل۔
شالٕ واٹھ:-شالٕس بنومُت واٹھ۔
شولہٕ:-(ن۔مؤل:شول <ع:شعلة)۔رٕنٛہہ۔بزٕنٛہہ۔
شولہِ دِنہٕ:-پزٕزلُن۔چمکُن۔گاہ تژاوُن۔
شولہِ پوٚت:-(ن۔مؤل:شولہِ پوٚت <؟ع:شعلة +س:پوتہ)۔نیٚک کوگرپوٚت۔سہٕ کوگرپوٚت یَس پاوکھنڈ وَزَن آسہِ۔
شولہٕر:-(ن۔مؤل:شولہِ ناو)۔۱۔پزٕزلاوُن۔گاہ دِوناوُن۔نپہٕ نپہٕ کرناوُن۔۲۔شوٗبہِ دار بناوُن۔سَجاوُن۔
شولہِ ناوُن:-(ن۔مؤل:شولہِ ناو)۔۱۔پزٕزلاوُن۔گاہ دِوناوُن۔نپہٕ نپہٕ کرناوُن۔۲۔شوٗبہِ دار بناوُن۔سَجاوُن۔
شولہِ وُن:-نپہٕ نپہٕ کرِوُن۔پزٕزلوٗن،لوٚکن منٛزنوٗن -
شوٗلُن:-(ن۔مؤل:شول <ع:شعلة) پزٕزلُن۔

ءِگہن ـ ناپُن ـ چمکہٕ چمکہٕ کرٕنی ـ

شولیؤمُت :- پڑزلیومُت ـ

شونت :- (ن ـ مؤل: شانٔت <س: شانٔتہٕ) ـ

ا ـ شانٔت ـ سوو ـ یُس نہٕ وولہِ ـ زأہد ـ

شونٔتہٕ سو باو :- ا ـ شٔہج پڑ کرتھ ـ ۲ ـ ژبڈ کرن وول ـ نہٕ وولن وول ـ

شوٗنٹھ :- (ن/م ـ مؤل: شوٗنٹھ <س: شنٹھِ) ـ ہو کھنأوِمژ أدرکھ ـ اکھ مَصالہِ یُس ہِنس بیترٕ تراوان چھِ ـ

شوٗنٹھ ترٕلیش :- پونی یتھ منز شوٗنٹھ تراونہٕ آسہِ آمُت ـ شوٗنٹھ رَلأوِتھ تہٕ گرکہٕ وِتھ پونی ـ

شوٗنٹھ گنڈر :- اکھ شوٗنٹھ گج ـ شوٗنٹھ کلیگ اَکھ مؤل ـ

شوٗنٹھ وۄر :- ژپٹھ شوٗنٹھک بنومُت ژوچہٕ وۄر ہیؤ ہ ـ

شوٗنٹھ ہیؤ ہ :- (ورگہٕ) جان ـ رُت ـ زَبر ـ اصل ـ

شوَوے :- وُچھو "شاوَے"

شوولہِ ۱ :- (ن ـ مؤل: شوول <س: شؤلَہ) رَزِ گنڈِتھ سُہ گوٗب چیز یِیمہِ سٟتی چھان دیوارس ژونٔس بیترٕ سیٚز رچھِ وُچھان ـ

شوولہِ ۲ :- (ن ـ مؤل: شوول <س: شؤلَہ) ـ پہلوانَن ہُنٛد نپلہِ یُس تم پھِران چھِ ـ

شواس :- (ن ـ مؤل: شواس <س: شؤاسہ) ـ شاہ ـ

مِ: شواسن ترأوِتھ آسن دارُن

دارناوِ دارُن سۄ ہم سۄ (شاہ غفوٗر)

شوب :- (مؤل: شؤب <س: شُبھ) ـ ا ـ پرٟژر ـ خأر ـ

جأنی ـ ۲ ـ رُت ـ پھرٟ وُٹژ ـ مُبارَکھ ـ

شوٗبہٕ پھَل :- رُت پھَل ـ نیکھ نتیجہٕ ـ

شوٗبہٕ دوہ :- رُت دوہ ـ جان ساتھ، پھرٟوٗٹژ دۄہ ـ

شوٗبہٕ کأم :- رٟژ کأم ـ نیک کأم ـ پرٟوٗژ کار ـ

شوب کرُن :- (اَہی) پرٟژر کرُن ـ جأنی کرٕنی ـ خطرٕ أندرٕ کڈُن ـ مِ: دَین کۄرشوب ـ

شوب گژھُن :- جأنی سپدٕنی ـ پرٟژر گژھُن ـ

شود ۱ :- (ن ـ مؤل: شود <س: شبد) ـ ا ـ ژینہٕ وَن ـ ۲ ـ ہس ـ حبس ـ

شود پیوٗن :- حبس پیوٗن ـ شینکھ گژھنی ـ

شود دیُن :- ژینہٕ وَن دِنی ـ کھوفٕنی کل دِنی (حبس دِنہٕ باپتھ) ـ

شودروزُن :- شکھ روزُن ـ شینکھ روزٕنی ـ

شود ۲ :- (<س: شُد دھ) ـ ا ـ صاف ـ شرٟوٗژ ـ ۲ ـ چھرا ـ یتھ نہٕ ملاوٹھ آسہِ ـ ۳ ـ نوقصہٕ ورأے بےٚ گوناہ ـ ۴ ـ غلطیہِ روٚس ـ

شو دِمَنہٕ :- کھوٹھ گٹایی روٚس ـ دِل صأفی سان ـ

شود کرُن :- ا ـ صاف کرُن ـ شوٗژ راوُن ـ ۲ ـ غلطیہ کڈنہٕ (کُنہِ مُسودَس بیترٕ) ٹھیکھ کرُن ـ درٕس کرُن ـ چھاپ خانک بیترٕ پرٟوٗف ٹھیکھ کرُن ـ

شوڈُن :- (ن ـ مؤل: شود <س: شوودھنہ) ـ ا ـ صاف گژھُن ـ مَل بیترٕ ووتھُن ـ ہِش نہٕ روزٕنی ـ ۲ ـ ہمُن (شور، ترٕپہ ترٕپھ) ۳ ـ وَتہٕ ییُن ـ

سبدُن۔ سبزرس گن ییُن ۔۴۔ موکلُن اَند لگُن (آب بیترِ نیرُس)۔ مِ:ڈوُرِ منزٕ شوددیو آب۔

شودیُومُت:-۱۔ صاف گومُت۔ مِشہِ روٗس، مِلاوٹہِ روٗس ۔۲۔ وَتہِ آمُت ۔ سبزرس گن آمُت۔ ۳۔ مَدٕ ووتھمُت۔

شوڑ، شوڑکون:- وِچھو "شَڈ"۔

شور:-(ن۔مؤل:شور > آوازِ پٹھ)۔ کولہِ ہنز پکنٕچ آواز۔ سوآواز یوسہٕ پوٚنی تیزی سان پکو منٛز پکنہٕ ستی گوھان چھےٚ۔ جر پونی وَسنٕچ آواز۔

شورشور:-(ن۔مؤل:شورشور > آواز پٹھ) کولہِ ہنزِ وَسنٕچ یا پکنٕچ آواز، دوددو ینٕچ آواز۔

شوزَر:-(ن۔مؤل: شوزر > س: شُد دھ تا)۔ سبزر پزر۔ پاٛکیزگی۔ کھوٹھ گٹاٗیی۔ روٗس آسُن۔

شوکُن:-(ن۔مؤل:شوکن > س:شکُنہَ)۔ شوٗگوٗن۔

شوکدیو:-(ن۔مؤل: شوک دیو > س: شُکہَ دیو) اَکھ ریٛوش ییٚمی بنزٕ زیوٗ باگوت پران وَننہٕ چھُ آمُت۔

شونٛی شَرف:- حاٗفِظ۔ نوٗن واجینٛز۔ کنٛجرینٛز۔

شونڈ:-(ن۔مؤل:شونڈ > س:شُنڈ)۔ا۔ بُتھ بانہٕ۔ گُنہِ لایق بُتھ پانہٕ۔ بتٕر۔۲۔ شوٗب۔ باش۔ تمیز۔

شونڈ آسُن:-ا۔ بُتھ بانہٕ آسُن۔ بتٕر آسُن۔۲۔ شوٗب آسنی۔ تمیز آسُن۔

شونگ:-(م۔مؤل:شونگ > س:شَینہَ + گہ) نیٛندٕر، ڈاپھ، لَر۔

شونگ تڑاوٕنی:- کتھ گوٚش دیٛنُن۔ کتھ زِ کُھرس ستی تڑاوٕنی۔ مَشر بَس کرُن۔

شونگُن:-(ن۔مؤل: شونگ > س: شینہَ + گہ) ا۔ نیٛندٕر تراوٕنی۔ لَر تراوٕنی۔ ڈاپھ دِنی۔۲۔ بِہُن، مساٗوی بوزُن۔ گوٚش دیٛنُن ۔۳۔ ہم بِستری کرٕنی۔۴۔ ہکتھ سورٕنی۔ توژھ نہٕ روزٕنی۔

شونگتھ:- نیٛندٕر، بےٚ خبر، یَس کُنٛہِ پے پتاہ آسہِ نہٕ۔

شونگتھ شاپھ روزُن:- شاپھ یا بلایہِ نہٕ پوٚرٕنی۔ آہنٛز بلایہ اَندی گژھنی۔

شونگتھ شاہمار:- تژھ کاٛنہہ بَلاے یوسہِ نہٕ بوزنہٕ ییہِ مگر اَزتہِ تہٕ پگاہ تہِ پییہِ پٹھ۔ کھٹتھ دُشمن۔

شونگمُت:- بےٚ خبر۔ بےٚ پروا۔

شوہرَتھ:-(م۔مؤل: شوہرژ > ع: شہرۃ ناماوٗری۔ مشہوٗری۔

شوہرَتھ پزاوٕنی:- ناولگُن۔ سبٹھاہ مشہوٗر گژھن۔

شوہرَتھ گژھنی:- مشہوٗری گژھنی۔ پارے گژھنی۔ سارِنے خبر لگنی۔

شوہرَتھ لبنی:- ناولگُن۔ مشہوٗری پزاوٕنی۔ ناو پزاوُن۔ سبٹھاہ مشہوٗر سپدُن۔

شوہرےآفاق:- ییٚمی شوہرَتھ دوٗر دوٗر تام آسہِ۔

شوہر:- مشہوٗری۔ شوہرتھ، گُنہِ چیزٕس آو آو۔ مِ:

شوہرَتھ چھُ عام سرحدن شولہِ بہار کاٹلی یے

شوے:-(م۔مؤل:شوے > ف:شوے)۔ (کھوربیترِ)

چھلُن ۔گراے کڈٕنۍ ۔ م:پال شوے

شےٚ :-(<س:شٔٹ) پانژھ تہٕ اَکھ ۔ اکہِ کم ستھ ۔

شہ ریوٚت :-(ن ۔مؤل:شہ رِیُت <س:شٔٹ+رِتہٕ)

ا۔ شہ موس ۔ شبن رتن ہُند ۔۲۔ یتھ پتھ گن شےٚ

رِتھ گاٮ۪ہِ آسن ۔

شُستھ :-ستھ ذٕہ تہٕ شےٚ ۔ ستتھ تہٕ شےٚ ۔

شہ کھور :-(ن ۔مؤل:شہ کھار <س:شٔٹ+کھاری)

سہ ژٕمپنہٕ ترکھ یتھ شےٚ کھاَر پھل نیرِ ۔

شہ موکھ :-(ن ۔مؤل:شہ موکھ <شٔنمکھ) کومار

جیُن اَکھ ناو ۔

شُنمتھ :-(<س:شٔن نوتہٕ) ۔ شےٚ تہٕ نمتھ ۔ نوٚ ذٕہ تہٕ شےٚ ۔

شوٚ نژاہ :-(<س: شَڈ پنچاشت) پنژاہ تہٕ شےٚ ۔

ژورِ کم شیٹھ ۔

شوٚوت :-(ن ۔مؤل:شوٚنت <س:شَڈ+پتھ) ۔

ا۔ یتھ جاۓِ شےٚ وَتہٕ رلان آسن ۔۲۔ شٹھ ژٕ کر ۔

شےٚ ژٕ کر (یوٚگہٕ مؤجوٚب جسمک ٹھانٛڈ)

شوٚوُر :-(ن ۔مؤل:ششوار <س:شٔٹ+وار)

شےٚ گوٚن ۔ یتھ شےٚ <س:شٔٹ+وار) شےٚ

گوٚن ۔ یتھ شےٚ وار کھارنہٕ آسن آمتۍ ۔

شہاٮ۪ٹھ :-(س:شٔٹ شَشٹِہ) ۔ شےٚ تہٕ شیٹھ ۔

شےٚ ذٕہ تہٕ شےٚ ۔

شےٚ تہٕ ترٕ ے تہٕ نوٚ تہٕ کاہ وَنٛنۍ :-ا۔ فَند وَنُن ۔

۲۔ تہِ وَنُن یتھ نہٕ کانٛہہ بُنۍ یادٕ ے آسہِ ۔

اورُک یورُک ذٕنتھ ٹالُن ۔

شےٚ گوٚن :-(س:شٔٹ گُنہ) ۔ شہ لوٚر ۔ شہ دور ۔

شیٮ۪ہٕ پھِر یوتاہ ۔

شیٮ۪ہٕ تاٮ۪جۍ :- (س: شَڈ چتوارِ مشت) ۔ شےٚ تہٕ

ژتجہ ۔ ژور ذٕہ تہٕ شےٚ ۔

شیٮ۪ہٕ ترٕ ہ :-(س:شٔٹ ترِ مشت) ۔ شےٚ تہٕ ترٕ ہ ۔

ترٕ ے ذٕہ تہٕ شےٚ ۔

شیٮ۪ہٕ ترٕ ہ ہیرِ کھبتھ چھےٚ نکیی کاَر :-تہٕ ذٕتھ گو

دٕنۍ یہس پھیرِ تھ تہٕ چھ پننے گرٕ ٹھکانہٕ ۔

شیٮ۪ہٕ شیتھ :-(<س: شَڈ اَشیتہٕ) شےٚ تہٕ شیتھ ۔

اَٹھ ذٕہ تہٕ شیتھ ۔

شٕچھ :-(م ۔مؤل: شٕچھ <س: شِکشا) ۔ا۔ خبر ۔

پأغام ۔۲۔ کُنہٕ خاص کتھِ ہنٛز باوتھ ۔۳۔ ووپد

لیش نصیحتھ ۔ (مورشِد سنٛز یا گورٕ سنٛز) ۔

شٕچھ بوزٕنۍ :-ا۔ خبر گن تھوٚن ۔ پأغام بوزُن ۔

۲۔ مشہور بوزُن ۔ ہبدا یتھ رٔٹن ۔

شٕچھ بود :-خبر اَتر ۔ پأغام بیترِ ۔

شٕچھ ہیٚنۍ :-رَژِ رَژِ خبر واتان روزٕنۍ ۔ اَکھ اَکِ

سندۍ کنۍ خبر دۄرتام واتان روزٕنۍ ۔

شٕچھ پھیرٕنۍ :-خبر واتۍ ۔ پرٕتھ طرفہٕ خبر گوٚ ہنۍ ۔

شٕچھ تھوٚنۍ :-کأنٛسہِ اَتھِ کانٛہہ پأغام تھوٚن ۔ بیٚیس

اَتھِ اِطلاع تھوٚن ۔

شٕچھ سوزٕنۍ :-کأنٛسہِ اَتھِ کانٛہہ پأغام واتناوُن ۔

شیٚچھ کرٕنۍ :- پٲغام سوزُن ۔ خبر سوزٕنۍ ۔ خَبَر واتناوٕنۍ ۔
شیٚچھ واتٕنۍ :- خبر واتٕنۍ ۔ پٲغام واتُن ۔
شیٚش :- (ن/م ۔ مؤل: شیٚش < س: شِشیَہٕ) ژاٹھ ۔ شَش ۔ شاگرد ۔
شیٚشو :- (< س: شَڈ + شَتہٕ) ۔ سو یٚنہِ یَتھ شےٚ ہتھ ہَن آسَن ۔
شیٚشہِ :- (< س: شَشہِ) ۔ زٕنُن ۔ م: ہنیٚشہ بن چھےٚ شیٚشہِ تہٕ رَوہ ۔ (برمانند)
شیٚشہِ وُن :- ژالُن وول ۔ زٕروَن وول ۔ زَرَن وول ۔
شیٚشُن :- (ن ۔ مؤل: شیٚش <؟ س: سہنہٕ) ۔ ا ۔ زرُن ۔ وبٕرن ۔ ژالُن ۔ برداش کرُن ۔ ہیٚہُن ۔ ۲ ۔ کانٛسہٕ ہُند کینٛہہ برداش کرُن ۔
شیٚشتھ ہکُن :- ژالِتھ ہکُن ۔ برداش کرُن ۔ سٕہتھ ہکُن ۔
شیٚکھیا :- (م ۔ مؤل شیٚکھیا < س: شِکشا) ۔ (ہرٕز) وۄپدیش ۔ کانٛہہ کینٛہہ ہیٚچھناوِتھ تھوَن ۔ ہس ۔
شیٚہی :- (م ۔ مؤل: شیٚہی < ف: شہی) ۔ مَرٕدِ بَنٛد چالہِ ہٕباکِہ قسمُک زیوَر ۔
شیٚہی بگُر :- سونہٕ سٕنٛز یا روپہ سٕنٛز باوٕڈ بگُر ۔
شیٚہجار :- (ن ۔ مؤل: شیٚہجار < س: شِشَر ۔ وِچھو "شُہُل" تہٕ) ۔ ا ۔ ٹھٔنٛڈی (خاص کُرِتھ یتھ جایہِ ژھاے آسہِ) ۔ ۲ ۔ سو جاے یتھ ژھاے آسنہٕ کِنۍ گرآسہِ نہٕ ۔ شُہُل ۔ م: پکو شیٚہجارس بہو ۔ ۳ ۔ پھیٚپھرس بیترٕ

گاٹِرٕ سردی (آب بیترٕ تراونہٕ کِنۍ) ۔ ۴ ۔ شیٚہلتھ ۔ کانٛسہٕ ہٕنٛدِ ذٔسۍ ووتمت راحتھ ۔
شیٚہجار پیوٚن ۔ پھیرُن :- ا ۔ شیٚہلتھ پیٚنۍ ۔ نَرمی گرٕژھنۍ ۔ ٹھٔنٛڈی پھیرٕنۍ ۔ ۲ ۔ دَگ کم گرٕژھنۍ ۔
شیٚہجار کرُن :- ا ۔ تھکھ کڈنہٕ باپتھ یا گرمی نشہٕ بچنہٕ باپتھ شیٚہلِس بہُن ۔ ۲ ۔ دگ شیٚہلاوٕنۍ ۔ (ژرن پوٚنۍ بیترٕ تراوِتھ) ۔ ۳ ۔ پھیپھرس بیترٕ سردی کرٕنۍ ۔
شیٚہجار گرٕژھن :- پھیپھرٕ بیترٕ سَردی گرٕژھنہٕ کِنۍ نٲٹھُن یا شٹھُن ۔
شیٚہلتھ :- (م ۔ مؤل: شیٚہلتھ < س: شیہ کہ تا) ا ۔ سردی ۔ ٹھٔنٛڈی ۔ ۲ (ورگہٕ پاٹھی) راحتھ آسٲیش (باسٕنۍ) ۳ ۔ (ہرٕز) کانٛسہٕ ہٕنٛدِ دوکھہٕ سٕتۍ سوکھ باسُن ۔
شیٚہلتھ پیٚنۍ، پھیرٕنۍ :- ا ۔ ٹھٔنٛڈی پھیرٕنۍ ۔ ۲ ۔ داٗدِس دَگہٕ پھُہُن کم گرٕژھن ۔ ۳ ۔ (ہرٕز) بیےٚ سٕنٛدِ دوکھہٕ سٕتۍ سوکھ باسُن ۔
شیٚہلاوُن :- (ن ۔ مؤل: شیٚہلاو < س: شیتلہ) ۔ ا ۔ تیٚزٕر کم کرُن ۔ ۲ ۔ نارٕژھبتہٕ کرُن یا تیٚچ تینٛہہ مۄرٕنۍ ۔ ۳ ۔ (ورگہٕ پاٹھی) ژکھ والٕنۍ ، شرارتھ والُن ، ہوٚمراوُن ۔ ۴ ۔ (ورگہٕ پاٹھی) مارُن ، قتل کرُن ۔
شیٚہلو ومُت :- ا ۔ سَرد وومُت ۔ ہوٚند روومُت ۔ ۲ ۔ یَس ژکھ والنہٕ آسہِ آمُت ۔ مَدٕ وولمُت ۔ ۳ ۔ (ورگہٕ پاٹھی) قتل کرنہٕ آمُت ، مارنہٕ آمُت ۔
شیٚہلُن ا :- (ن ۔ مؤل: شیٚہلن <؟ س: شیتلہ + اُن) ۔

ا۔ سُہ مُشکھ یا تیُتھ مُشکھ یُس گاڈَن بیترٕ یوان چھُ۔ گاڑ پھکھ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) گاڑ۔ ہوگاڑ۔ م: مَتھ چھُم گرٕ ھان زٕ رَنہٕ ہوٚ شیٚہلَن۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) کُشش۔ ۴۔ (ورگہٕ پأٹھی) بَدنأمی۔

شیٚہلَن پھکھ:۔ گانٛد۔ ہوٚ ژٕ مرٕ ن گاڈَن وٕ زٕھمرٕ گانٛد۔

شیٚہلُن دار:۔ ا۔ یتھ مُشکھ ژٕ لمُت آسہِ نہٕ، یتھ شیٚہلُن یا گاڑ پھکھ آسہِ یوان۔ ۲۔ تیٚمس بدنأمی آسہِ۔

شیٚہلُن لارُن:۔ ا۔ گاڑ پھکھ لارُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بَدصوحبَتھ لارٕنی، خراب صوحبتھ لگنہٕ کِنہٕ خراب گژھن۔

شیٚہلُن یُن:۔ ا۔ پھکھ یُن، مُشکھ یُن، کانٛہہ کھنہٕ چیز پھیرُن تہٕ پھیرنٛک پھکھ پھٕہلُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بَدنأمی مٕنز ہُر بر گژھن۔ ۳۔ کأنٛسہِ ہُنٛد تیُتھ آسُن یتھ بیٚنس کُشش سپدِ۔ م: اُمِس چھُ زنانہٕ شیٚہلُن۔

شیٚہلُن ۲:۔ (ن۔ مؤل: شیٚہُل > س: شیتلہ)۔ ا۔ ہُندرُن، ترُن گژھُن۔ ۲۔ ژھیتہٕ گژھن۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) ژٕکہ ہٕنٛز۔ شرارتھ کم گژھن ۴۔ (ورگہٕ پأٹھی) مرُن۔

شیٚہلیومُت:۔ ا۔ ترٕ ٹیومُت، ہوٚنٛدرگومُت۔ ۲۔ ژھیتہٕ گومُت۔ ۳ (ورگہٕ پأٹھی) مؤدمُت۔ یُس نہٕ مرنہٕ کِنہٕ وُشنیرٕ ے آسہِ۔ مرِتھ ٹھنٛڈ گومُت۔ ۴۔ (ورگہٕ) یُس ژٕکہ آسہِ ہیمُژ۔

شیٚہلِن:۔ وَسہٕ وِنہٕ آفتابہٕ۔ آفتابہٕ وُستھ۔

شیٚہلِن بأ گر:۔ آفتابہٕ لوسہٕ وُن۔ تاپھ وُستھ۔

شیٚیم:۔ (م۔ مؤل: شیٚیم > س: شٕشٹھی) زٕوٚنہٕ پچھک یا گٹہٕ پچھک شیٚیم دوہ۔

شیٚیہٕ ترٕ ہ:۔ وُچھو "شےٚ" لفظس تَل۔

شیٚیہٕ تأجی:۔ وُچھو "شےٚ" لفظس تَل۔

شیٚیہٕ شیٚتھ:۔ وُچھو "شےٚ" لفظس تَل۔

شیٚٹھ ا:۔ (> س: شَشٹہٕ)۔ شےٚ ژٕ ہ۔ دَہہٕ کم ستَتھ۔

شیٚٹھ وٕرِش ہیٚنہٕ پھٕےٚ اُٹھہٕ وہرِس بأیس واپس آمژ:۔ تہٕ دٕپتھ گوزنانہٕ اُسی تَن وأنٛسہِ کاُتژاھتہٕ وأرکی وے کینٛہہ کیُتھ گژھبس اُخرپھٕےٚ مأنٛنِن پتھٕ یوان۔

شیٚٹھ وُہر:۔ ا۔ شیٚٹھ وٕری وأنٛسہِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بُڈ۔

شیٚٹھ گوزِبرٕ۔ سٹھ گو:۔ تہٕ دٕپتھ گوبُڈن تہٕ برٕ ٹھُن۔

شیٚٹھ ۲:۔ (> س: شٕشٹھی)۔ شیٚیم۔ م: ژٕنٛدرٕ شیٚٹھ۔ کُمارٕ شیٚٹھ۔

شیٚٹھَن:۔ سُہ یُس پأنٛس وُستھ لوٚکن ستیٚ جان سلوکھ آسہِ نہٕ کران۔

شیٚخ:۔ (ن۔ مؤل: شیٚخ > ع: شیٚخ)۔ ا۔ مذہبی پیشوا (مُسلمانن ہُنٛد) یزٕ دار شخص، مولوی، امام۔ ۲۔ مُسلمانن ہنٛز اَکھ کرٛام۔ ۳۔ صفأیی کرن وأرلس تہٕ ونان۔

شیٚخہٕ روٚیہِ شیطان:۔ سُہ شخص یُس بُتھہِ کِنہٕ شریٖف آسہِ بوزنہٕ یوان مگر بدٕ اُتی آسہِ پھٕچل۔ م: گبہٕ

بُتھِ رامہٕ ہؤن۔

**شیخ چلی:**-۱۔اَکھ فرضی اَحمق۔اَہنٛدی قِصہٕ چھ سێٹھاہ مشہور۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) چور۔پھرٕ وت۔بێقل۔

**شیرا:**-(ن۔مۄل: شیر <س: شِرس / شِکھر)۔ ۱۔کلہٕ۔تال۔تیٛثول، تیٛؤثت۔۲۔کنہٕ ویر۔لَرِ ہُنٛد ڈچھن یا کھوٗور پاس۔

**شیرِ دأر:**-کنہٕ ویرِ طرفٕچ دأر۔سو دأر یوٗسہٕ مکانس ڈچھنہِ یا کھوورِ طرفہٕ آسہٕ۔

**شیر طاق:**-وِچھِو "شیرِ دأر"۔

**شیرِ کوٗٹ:**-مکانٕکہٕ سہٕ دارٕ وِیُس (شیرِ طرفہٕ) اَکہٕ کنہٕ ویرِ پێٹھ بێیِس کنہٕ ویرِ تام آسہٕ۔لَرِ ہُنٛد ڈچھنہِ یا کھوورِ طرفہٕ تزٕ وومُت دارو۔

**شیرِ لَب:**-کنہٕ ویرِ طرفٕچ لَب۔سو لَب یوٗسہٕ مکانہٕ کِس بُتھِس تہٕ پۆت پاَسس منٛزس کنہٕ ویرِ طرفہٕ آسان چھےٚ۔

**شیر تاج:**-(مۄل: شیر تاج <ف: سرتاج)۔سرتاج

**شیر۲:**-(ن۔مۄل: شیر <ف: شیر)۔(ورگہٕ) دِلیر۔ بُہوٗدُر۔نِڈَر۔یُس نہٕ کھوٗژان آسہٕ۔

**شیرِ بَبر:**-۱۔بادَر ہِہہ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) سێٹھاہ بُہوٗدُر۔سێٹھاہ دلیر۔

**شیرِ جَبار:**-(ن۔مۄل: شیرِ جبار)۔یہٕ چھُ حضرتِ علیؓ سُنٛد اَکھ لقب۔

**شیرِ خودا:**-یہٕ چھُ حضرت علی کرم سُنٛد اَکھ لقب۔

**شیرِ نَر:**-۱۔نَرٕ ہِہہ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) روبہٕ وول، یُس سأری کھوٗژان آسَن۔سێٹھاہ بُہوٗدُر۔

**شیرِ بَبُن:**-۱۔بُہوٗدُرٕ بَبُن۔۲۔سرزور بَبُن۔نٕکھس کھسُن۔

**شیرِ سپدُن:**-زٕ رَولدُن۔نکھس کھسُن۔غالب یُن۔

**شیر گرٛٹھُن:**-وِچھِو "شیر بَبُن"۔

**شیرِ ژأر:**-۱۔شیرُن تہٕ ژارُن۔۲۔ترتیب۔

**شیرِ ناوُن:**-۱۔ٹھیکھ کرناوُن۔استیمالس لایق بَناوناوُن۔ مَرمتھ کرناوُن۔۲۔وَتہٕ لَنہٕ ناوُن۔

**شیرُن:**-(ن۔مۄل: شیر)۔۱۔ٹھیکھ کرُن۔سَنٛبالُن۔ سبزرس منٛزٕ اُنُن۔ہَجر کاسُن۔مَرمتھ کرُن۔۲۔فکرن، کتراوُن (سٕتین بیترِ)۔۳۔سوٗن۔ڈٕج تزٕوٗپ کرُن (پلوَن بیترِ)۔۴۔تیار کرُن۔کمأے کرِنی (زٕمینس بیترِ)۔۵۔ترتیبہٕ سان تھوٗن۔۶۔(ورگہٕ پاٹھی) ماردیُن۔چوب دِنی۔بوأری کرِنی۔سیوٗد کرُن۔پانس پھرُن (بیترِ)۔

**شیرِ تھ پرِتھ روزُن:**-جان پلو پوشاکھ لأگِتھ تہٕ پان سجاوِتھ روزُن۔شۆبہٕ دار پاٹھی روزُن۔

**شیرِتھ تھوُن:**-۱۔ٹھیکھ کرِتھ تھوٗن۔۲۔مرمَتھ کرِتھ تھوٗن۔۳۔ترتیبہٕ سان تھوٗن۔۴۔(ہزلہٕ) سیٚز راوِتھ تھوٗن، وَتہٕ اَنُن۔

**شۆرمُت:**-۱۔ٹھیکھ کوٚرمُت۔تیار کوٚرمُت۔مرمتھ کرِتھ تھوومُت۔۲۔بانس پھرِتھ تھوومُت (بتہٕ بیترِ)۔

**شیطان:**-(ن۔مۄل: شیطان <ع: شیطان)۔

۱۔عزازیل۔ ملأ یکو اَندرٕ سٕہ مَلکھ یَمیٚ آدمس سُجدٕ کرنس اِنکار کوٚر تہٕ جنتہٕ منٛز آو کڈِتھ ژھنہٕ۔ ۲۔راکھیُس۔ یُس وَتہٕ نِشہٕ ڈالہِ۔ ابلیس۔ ۳۔(ورگہٕ پأٹھی) پھیچکل۔سیرٕل، بدمعاش۔ ژوپل۔بدذاتھ۔۴۔(ہزلہٕ) زیرٕک۔تیلنگہٕ۔

شیطانہٕ سٕندی کن زٕری:۔تہٕ دٕپتھ گوکانہہ (دُشمن) گوٚ ژھ نہٕ بوزُن۔

شیطانہٕ سٕنز پونٛد پیٹھ زامُت:۔تہٕ دٕپتھ گونوٚتھ۔ سُہ یُس پرٕنہٕ پیٹھی چالاکھ یابد ذاتھ آسہِ۔

شیطان پوٗت:۔سخ سیرٕل تہٕ چالاکھ (شُر بیترٕ)۔

شیطان ترٛیش:۔سُہ آب یُس بزم گرٛھنہٕ کُنہِ سٕکہِ مأدانس بوزنہٕ چھُ یوان۔سُراب۔

شیطان لگُن:۔خاب اَندرٕ داتھ پکُن۔سوٚپنہٕ دوٗش لگُن۔

شیطان یُن:۔وٕچھو''شیطان''لگُن۔

شیطأنٕل:۔شیطانہٕ سٕنز خصلتھ۔شیطانہٕ سُند یا شیطانہٕ سُند ہیوٗ ہ وٕطیرٕ۔شیطان حرکتھ۔

شیطأنی:۔وٕچھو''شیطأنٕل''۔

شیطنَت:۔(م۔موٗل:شیطنت <ع:شیطان)۔شیطأنی۔ شیطانہٕ سٕنز حرکتھ۔کوپھیچہٕ۔م:یہِ گیہِ اَہنٛز ے شیطنَت۔

شیک ہینٛڈ:۔(<اَنگ:شیک ہینٛد Shake hand)۔ اَتھ واس۔

شیل:۔(م۔موٗل:شیل <س:شَیلہٕ)۔پَل۔بٔڈ کُنی۔

شیلہٕ ژٕ کر:۔(ن۔موٗل:شیلہٕ ژکر <س:شَیل چکر)۔پربتُک اَکھ ناو۔ژٕکری شور۔

شینٛکل:۔(<س:شَنکا+گُلہٕ)۔۱۔لبٕڑ۔کھوژٕ پٕڑ، بےٚ جُرتھ۔وسوأسی۔۲۔شٕنگل۔

شینٛکا:۔(م۔موٗل:شینٛکا <س:شنکا)۔۱۔شٕکھ۔م: مےٚ کر شینکا دوٗر۔۲۔شٕک، اَتُر (باسُن)۔ ۳۔(ورگہٕ پأٹھی)زَل مَل۔

شینٛکہٕ وُن:۔(ن۔موٗل:شینٛک <وٕچھو:شینٛکُن)یُس ژٕرژان آسہِ۔یُس شٕکھ آسہِ۔

شینٛکُن:۔(ن۔موٗل:شینٛک <س:شینٛکنہٕ)ژٕرژُن۔ باس لگُن۔فکرٕ ترٛن۔۲۔گوس روزُن۔

شینٛکہٕ روزُن:۔کوتھوٚن، ژٕرژُن، شٕکھ گرٛھتھ نظرٕ روزُن۔

شینٛکر اچار:۔(ن۔موٗل:شینٛکر اچار <س:شَنکراچاریہ) سرینگرس منٛز اکہِ بالُک ناو۔تختِ سُلیمان۔

شینٛکرٕ نی مٕکرٕ:۔۱۔یہِ چھےٚ اَکھ گوٚٹل یا تبریوسہٕ وینٛجہِ بزارٕ مٔشید دَروازس پھسأوِتھ اَس۔۲۔(ورگہٕ) پایدار۔۳۔پننہٕ ہَنہٕ نہٕ ڈٕلُن، ہٕڈی، ضِدی (اِنسان)۔

شینٛکھ ا(شٕنکھ):۔(ن۔موٗل:شینٛکھ <س:شَنکھ)۔ اَکھ بٔڈ ہأنٛگنی یوسہٕ اَسہٕ ستی وایہٕ یوان چھےٚ۔یہِ چھےٚ خاص پأٹھی پوٗزایہِ باپتھ استیمال سپدان۔ ہانٛگہٕ۔

شینکہٕ شَبِد دیُن:- شَنٛکھ بجاوُن۔ شینکھ وایُن۔ شینکَس پھوکھ دِتھ تمہٕ منٛز آواز کڈٕنۍ۔

شینٛکہٕ ہار:- تٲلۍ تراوٕنۍ مال یتھ پھلوِ بدل لوٕکٹۍ لوٕکٹۍ شینٛکھ وٕرِتھ چھِ آسان۔

شینٛکھ ۲:- (م۔ مؤل: شَینٛک < س: شَنٛکا)۔ ۱۔ وٕہمہٕ۔ ۲۔ شِک۔ شَنٛکا۔ ۳۔ ظون۔ خیال۔ ۴۔ آش۔ اُنٛمھ۔ بڑ اَنٛتھ۔ ۵۔ نِیال۔ ۶۔ (ورگہٕ پاٗٹھۍ) رَژھ۔ پیٚوٚنٛت۔

شینٛکہٕ روٗس:- بےٚ وایہٕ پاٗٹھۍ۔

شینٛکہٕ روٗستُے:- ۱۔ وایہٕ بَرنہٕ روٗس۔ یتھ منٛز کانٛہہ شکھ آسہِ نہٕ۔ ۲۔ وومیز روٗس۔

شینٛکھ پیٚنٛز:- شکھ پیوٚن۔ شِک گژھنۍ۔

شینٛکھ تھوٕنۍ:- آش تھوٕنۍ۔ بڑ اَنٛتھ تھوٕنۍ۔

شینٛکھ ٹوٗنٛکھ:- بڑ اَنٛژ پیٚوٚنٛتاہ، رَژھ کھنٛڈ اُنٛمھ۔ وومید ہواوا۔

شینٛکھ روٗزٕنۍ:- بڑ اَنٛتھ روٗزٕنۍ۔ اُنٛمھ روٗزٕنۍ۔

شینٛکھ کرٕنۍ:- تیٚتھ کینٛہہ کرُن۔ییمہٕ ستۍ بیٚیَس شِک گژھِ۔

شینٛکھ گژھنۍ:- شِک گژھنۍ۔ مَن نہٕ پژُن۔

شینٛکھ نٕنۍ:- شِک بوزٕنۍ۔ شکھ رٹُن۔ وٕہمہٕ رٹُن۔

شینٛکھ ہیٚنٛز:- ۱۔ شِک بوزٕنۍ۔ ۲۔ ہٹہٕ ہٹہٕ شکھ رٹُن۔ بُکۍ وٕہمہٕ ہیوٚن۔

شیو ۱:- وُچھو "شیٛو"۔

شیو ۲:- (ن۔ مؤل: شیو < اَنگ: شیو Shave) بُتھِس پیٹھ آمتۍ نِکۍ نِکۍ ریشہٕ وال۔ نٕچ نٕچ وٲر (یوسہٕ کاسان چھِ)۔

شیو کرُن:- بُتھِس پیٹھ آمتۍ۔ نِکۍ نِکۍ ریشہٕ وال (ریزرِ بیترٕ ستۍ) کاسٕنۍ۔

شیٛو:- (ن۔ مؤل: شیو < ف: شیوہ)۔ طٔریقہٕ۔ وَرتاو، خاص گٔرِتھ کانٛہہ ناکارٕ عادَتھ۔

# ص

ص ۱:- عربیک ژودٲہِم، فارسیک سدٲہِم، اُردوٗ ہُک ڈٲہِم تہٕ کأشریُک پٔنٛژٲہِم اَچھر۔ اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ نمتھ مول۔

ص ۲:- قرآن مجید کہٕ اَرٕ تژہمہٕ سوٗرُک ناو۔

صَبا:- (ن۔ مؤل: صَبا < ع: صَبا)۔ صُبحُک ہوا۔ سُہ ہَوا یُس سنگرمالہٕ پھولن وِزِ وٕری کِنۍ ییہٕ۔

صَبر:- (ن۔ مؤل: صبر < ع: صبر)۔ ۱۔ ژبڈ ژالُن۔ توَحمُل۔ ۲۔ پژُن پزارُن۔

صَبر چھُ سبزار:- تہٕ دِتھ گوژبڈ کرن وول چھُ اُخرس فٲیدس منٛز روزان۔ صبرس چھےٚ اُخرس آسٲیش۔

صَبر کرُن:- ۱۔ ژبڈ کرٕنۍ، ژالُن، توَحمُل کرن۔ برداش کرُن۔ ۲۔ پژُن پزارُن۔

صَبرس کاٗم ہیٚنٛز:- ژبڈ کرٕنۍ۔ وُتاوٕلی نہٕ کرٕنۍ۔ قرارٕ

سان روزُن۔تاب کرُن۔

صَبرس مۆ زۏ رِی :۔تہٕ ڈٕپتھ گوٚیس ژبڈٕ ہیٚیہٕ سہٕ چھُ فأیدس منٛز روزان۔م: تابٕس چھُ لاب۔

صبرٕ کی جامہٕ نالکی ژھٔنٛژ :۔۱۔مُسلسل سخٔتین پٔتھ ژبڈٕ کرٕنی ۔۲۔وُتاوٕلی کرنہٕ نشہٕ پتھ روزُن۔

صحب:۔۱۔فرہنگی۔انگریز۔۲۔بوٚڈ افسر۔وِچھو"صاحب"تہٕ۔

صحافت:۔(م۔مۆل: صحافت >ع: صحافۃ۔صحف) اَخبارنٔویسی۔اَخبارنٔویسی ہُند فَن۔

صحاُفی:۔(مۆل: صحاُفی >ع: صحف) اَخبار نٔویس۔ اَخبار کڈن وول۔ایڈیٹر۔مُدیر۔

صد:۔(مۆل: صد >پہلوی: شَت، ژند: شَتہٕ، س: شَتہٕ، ف: صد)۔ہَتھ۔داہ ڈٔہ۔

صد آفرین :۔مَرحبا۔ہَتھ شاباشہٕ۔م: ژےٚ چھےٚ صد آفرین زِ ژےٚ کٔرِتھ غریبن ہنٛز گتھ۔

صدبرگ:۔(ن۔مۆل:صدبرگ >ف:صدبرگ) اَکھ پوشُک ناو۔اکھ قِسمٕکس جافرِس وَنان۔

صدا:۔(ن۔مۆل:صدا >ع:صدا)۔۱۔ستھ ہَتھ آواز۔کرٕکھ چکھ۔م: تارٕ بیترِ وِزِ گوھنہٕ صدا کرُن۔ ۲۔سو آواز یوسہٕ کانٛہہ چیز بیترِ گُنہٕ ستی لگنہٕ کنہِ نیرِ۔ ٹھس ٹھس ۔۳۔آلو۔۴۔ڈُب ڈُب۔ ۵۔سورستھ۔

صدادیُن :۔۱۔آواز دِنی۔آلو دیُن۔۲۔ٹھُک ٹھُک کرن (دروازس بیترِ)۔۳۔ٹن ٹن کرُن۔

(سازس بیترِ)۔۴۔منگُن۔۵۔اِلتجا کرُن (آستانس بیترِ پٔتھ)۔

صداکار:۔گیوٚن وول۔یمیٚ ہنٛز آواز ژنٛز آسہٕ۔

صدارتھ:۔(م۔مۆل: صدارت >ع: صدارۃ)۔ ۱۔گُنہٕ مجلسہٕ بیترِ ہنٛدِس زٕٹھِس ہنٛز کام۔گُنہٕ مجلسہٕ بیترِ ہنٛز کاروأیی ہنٛزِ نگرأنی ۔۲۔جمہوٗری طرزِ حکومتس منٛز مُلکٕک ساروٕے کھوتہٕ تھوٚد عوٚہد۔

صداقتھ :۔(م۔مۆل: صداقت >ع: صداقۃ) پٔزر۔ تہٕ یہ پوٚز آسہٕ۔

صدٕر:۔(مۆل: صَدر >ع: صدر)۔مجلسہٕ ہُند زیٹھ۔ سہٕ یُس گُنہٕ مجلسہٕ ہنٛز کاروأیی ہنٛز نگرأنی یا صدارتھ کرِ۔۲۔گُنہٕ جمہوٗری مُلکٕک یا تنظیمُک زیٹھ۔سہٕ یُس گُنہٕ جمہوٗری مُلکس منٛز ساروٕے کھوتہٕ تھدِس عوٚہدس پٔتھ آسہٕ۔پریزیڈنٹ۔

صَدٕر دَرواز :۔مکانٕک سہٕ بوٚڈ دَرواز یُس عام لۆکن ہنٛدِ اژنہٕ نیرنہٕ باپتھ آسان چھُ۔

صدٕر دَفتر:۔گُنہٕ ادارُک ساری وٕے کھوتہٕ بوٚڈ دفتر۔

صَدٕر مقام:۔۱۔رازدأنی۔دارُالحکوٗمت۔۲۔سو جاے یتہٕ گُنہٕ محکمس بڈٕ بڈِس افسرُ سُند دَفتر آسہٕ۔

صدرِ محفل:۔پریزیڈنٹ۔گُنہٕ جمأژ یا اِجلاسُک ژارنہٕ آمت زیٹھ۔

صدٕرۍ :۔واسکٹ۔اکھ قسمُک نَر بو ورأے ژھوٚٹ کوٹھ ہیوٚ ہ۔

صدَقہٕ:-خأراتھ۔وان۔کینٛہہ یہٕ خودایہٕ ہِندِ ناوٕ دِنہٕ ییہِ۔
صدقےٚ جأری یہِ:-سُہ خأراتھ ییمیُک ثواب قیامتکِس دوہس تام چلان روزِ۔یتھ صدقس چلہٕ وُن اَجر روزِ۔
صدقےٚ فِطر:-روزٕن ہُند خأراتھ (صدقہٕ) یُس پرٛتھ مُسلمانس لوکچہٕ عیٖز دوہ نِماز بروٚنٛہہ دیُٛن چھُ آسان۔یہِ چھُ زٕ سیرٕ کنٛکھ یا اَمہِ کِس مُروَجہٕ مُلس برابر آسان تہٕ بالِغس یا نابالِغس، مَردس یا زَنانہٕ اَکی حسابہٕ واجِب۔(نابالِغہٕ سُند صَدقہٕ چھُ تُہُندٕ ولی ادا کران)۔
صَدمہٕ:-(ن۔مؤل:صَدم<ع:صَدمۃ)۔ا۔ژٕنڈ۔پھزٕ ٹھ۔۲۔دوکھ۔غم۔
صَدمَن پٮ۪ٹھ صَدمہٕ پینٛۍ:-پیٛوٚٹھس پٮ۪ٹھ گأیلہٕ پیٚنۍ۔اَکھ اَکِس پتہٕ مُصیبتھ پیٚنۍ۔
صَدمہٕ پیوٚن:-گأیلہٕ یُن۔مُصیبتھ یُن۔دوکھ پیوٚن۔
صَدمہٕ تُلُن:-مُصیبتھ ژالُن۔غم برداش کرُن۔دوکھ تُلُن۔دَگ وترٕاوُن۔
صَدمہٕ یُن:-سَخ بناوتھ یُن۔گأیلہٕ سپدُن۔
صراف:-(مؤل:صَراف<ع:صراف)۔ا۔سوٚنٕ رُوپٕک کارٕ بار کرَن وول۔سُہ باپأری یُس زیورَن تہٕ روپین ہُند لین دین کران آسہِ۔
۲۔مالدار۔دولتھ مَند۔۳۔بۄزی بۄزی خرٕچ کرُن وول۔۴۔کُشیرِ منٛز اَکھ کرٛام۔

صَراف گنٛزران دیٚارتہٕ اَتراف راوٕ ران دوہ:-تہٕ دٕ پِتھ گوکامہٕ وول چھُ پننٛی کأم اَند واتناوان تہٕ تَس تماشہٕ وِچھن وول چھُ بلٕ وَق ضایہٕ کران۔
صَرأفی:-ا۔سونٕہ روپٕک کارٕ بار۔۲۔سؤدٕرگی۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی)۔باپارس منٛز نیک نیتی۔ہِنٛسس دُس منٛز جان طُرٕیقہٕ حسابَس منٛز سبٕز رپٕز ر۔
صَرصَر:-طوٗفأنی ہوا۔
صَرف ونَحو:-(ن۔مؤل: صرف ونَحو<ع: صرف و نحو)عربی زبأنی ہِندِ گرٛامرِ کی زٕ حِصہٕ۔عِلمہٕ صرف گوسُہ عِلم ییمہِ کِنہِ قوأیدَ و مؤجوٗب لفظن گرٛت کرنہٕ یوان چھُ تہٕ نَحو گوسُہ عِلم ییمہِ کِنہِ قوأیدَ و مُطأبِق پرٛتھ کُلہٕ مُک اعراب موٚین گژھان چھُ۔
صَف:-(م۔مؤل:صَف<ع:صف)۔تنٛدل۔لأن۔قطار۔
صَفہِ ردَرواز:-(لوٗکن ہُند نِماز پرَنہٕ پٕژھی)لأنہٕ بَناونہٕ،صَفن منٛز روزُن،تنٛدلہٕ روزُن۔
صَف دِنۍ،صَف کرِنۍ،صَف گنٛڈٕنۍ:-صف لاگنۍ۔نِماز پَرنہٕ خأطرٕ لوٗکن ہُند رویہٕ قِبلہٕ لأنہٕ روزُن۔
صَفر:-ہِجری وٚری ہِند زٕیمِ حسابہٕ گوڈنیُک ربتھ یُس محرمہٕ پتہٕ یوان چھُ۔
صفا:-(مؤل: صفا<ع: صَفا) صاف۔ملہٕ روٚس۔شوٚد۔شرٕ وٗژ۔

صَفاشین (ہیوٗ ہ): -بلکل صاف۔ دود ہیوٗ ہ۔ یتھ نہٕ رَژھ تہٕ مَل آسہِ۔

صَفا کرُن: -۱۔ صاف کرُن۔ گُنہٕ صفأیی کرٕنی۔ ۲۔کائنسہِ سوٗرے کینہہ ہتھ ژٕلُن۔ کانٛہہ لُٹاوتھ تھوٗن، خاص گرِتھ زارس منٛز کانٛہہ خاکس پیٹھ بیہناوِتھ تھوٗن۔ کانٛسہِ ہُند پَتہٕ چھلُن۔ ۳۔نِہوتھ تھوٗن۔ پھیش دِتھ تھوٗن۔

صفا گرٛھن: -۱۔ صاف گرٛھن۔مَل ووٗتھن۔ ۲۔کہنٛہ نہٕ روزُن۔ ڈُولکُن۔

صفأیی: -(م۔مؤل:صفأے<ع:صفا)۔۱۔صفا آسُن۔ صاف آسُن۔۲۔ پأکی ۔پأکیزٕگی شرٛوژر۔ ۳۔عدالتس منٛز سُہ بیانہٕ ییس مُلزِمہٕ سٕندِس حقس منٛز دِنہٕ ییہِ۔ مُلزمہٕ سٕنٛز بچاوٕچ شہادتھ۔ ۴۔دِلِن ہُند شوژر۔ نیک نیتی، صاف صاف، گُنہٕ کھوٹھ کھوٹأیی ورأے۔

صَفأیی تارٕنی: -۱۔کتھِ باتھِ سٕتی ہانٛژِ نِشہِ پان موکلاوُن ۔۲۔ مُقدِمَس بیترِ منٛز مُلزِمہٕ سٕنٛز پٔنٛنِس بچاوَس منٛز شہادتھ دِوناوٕنی۔

صَفأیی دِنٕی: -غلط فہمی دوٗر کرٕنی۔اصل نقشہِ بروٗنٛہہ کُن اَنُن۔وُچھو"صفأیی تارٕنی"تہٕ۔

صَفہٕ: -(ن۔مؤل:صَف<ع:صحۃ)۔وَرقُک اَکھ پاس۔ گُنہٕ وَرقہٕ کیو دوشوٕ طرفو منٛزٕ اَکھ طرف۔

صَفرا: -(ن۔مؤل:صَفرا<ع:صفرا)۔پٔتھ۔پتھ۔سُہ

لیوٗ دُرتَرل مادٕ یُس تلہٕ پیٹہٕ منٛز نیران چھُ۔

صَلّی اَللّٰـہ عَلَیـہِ وَسَلَّم: -اللہ تعالا سُنٛز ن آنحضرتنٛ پیٹھ رحمتھ تہٕ سلامتی، یہِ دُعا چھُ تمہِ وِزِ پرٕتھ مُسلمان پران ییلہِ پأغمبرِ اسلامہٕ سُنٛد ناو بوزِنہٕ یِیہِ۔

صَلاح: -(ن۔مؤل:صَلاح<ع:صَلاح)۔۱۔مشوٗرٕ۔ رائے۔م:میوٗن صَلاح چھےٚ زِیورٕ گرٕزبس کتھ۔۲۔ دوستیپانہٕ وأنٛی ہشر۔پانہٕ وأنٛی تہٕ مُوکری آسٕنی۔یارٕز۔

صَلاح پیوٗن: -مشورٕ یُن۔خیال یُن۔

صَلاح دِین: -مشورٕ دِیُن، پٔنٛنی رائے دِنٕی۔مُناسب زانُن۔

صَلاح زانُن: -جان زانُن۔رُت زانُن۔مُناسب زانُن۔

صَلاح ژوچہِ: -تمہِ ژوچہِ یمہِ اورٕ یور مُوکری دوٗر گرٛھنہٕ پتہٕ بأ گراونہٕ یِن۔

صَلاح صَفأیی: -۱۔ دوٚن دَربن ہُند اَکھأ ڈکس نِش اندریم حال بأوِتھ مُوکری دوٗر کرٕنی۔ ۲۔پانہٕ وأنٛی رٕلُن۔

صَلاح کرُن: -۱۔پانہٕ وٕنی مشورٕ کرُن۔رائے ہیٚنٛز۔ پانہٕ وأنٛی سوپُن زِ کیا گژھِ جان۔۲۔مُوکری مُشرِتھ اَکھأ ڈکس نکھ یُن۔

صَلاح کار: -رائے دِنہٕ وول۔یُس مشورٕ ہیٚز۔یُس مشورٕ دِیہِ۔یُس مشورَس منٛز شامل آسہِ۔

صلاح گرٛھن: -مُوکری پتہٕ پانہٕ وأنٛی یارانہٕ بڑُن۔

لۆاُے نہٕ روزٕنۍ۔ شُترٕت دۆر گژھُن۔

صَلاح لاگُن:۔مۆکری دوران اورٕ ےیُن گژھُن لاگُن یا کتھ کرٕنۍ ییٚنۍ۔

صَلاح مَشوَرٕ:۔کُنہِ کتھِ پیٹھ پانہٕ وأنۍ مشورٕ کرُن۔ کانٛہہ نِیاے اُنٛزراونہٕ باپتھ پانہٕ وأنۍ راے ہیٚنۍ۔

صَلاح نامہٕ:۔رأضی نامہٕ۔ پانہٕ وأنۍ مۆکری تہٕ تھونٛک اقرار نامہٕ۔

صلاح ہیوٚن:۔مَشورٕ ہیوٚن۔ راے ہیٚنۍ۔

صلعم:۔(مؤل: صلعم <ع: صلعم)۔ یہ چھُ صلی اللہ علیہ وَسلم۔ عربی لفظُک ژھوٚٹ مانے چھُس خدا سۆزِن تمن سلام تہٕ رحمت۔

صلوات:۔(ن۔مؤل: صلوات <ع: صلوات)۔ دُروٗد۔ خودایہ سنٛز رحمت۔ اُہی۔

صلوات سوزٕنۍ:۔حضرتِ محمد صأبس دَروٗد سوزٕنۍ۔
م: صلوات سوزٕ صُبحن تہٕ شامن
روٗٹ چون دامن کرسون پاے (نادم)

صمد:۔خودایہ سُند اکھ صِفتھ۔ بے نیاز۔ لااوبال۔

صمکھ:۔(م۔مؤل: صَمکھ <ع: صمغ) ژیر کرانٛکہ۔ ژیرکاو۔ گونٛد۔

صمکھی ویٚژر:۔(ن۔مؤل: صمکھ ویر <ع: صمغ)۔ ٹانٛٹھ یوسہ اُکس خاص کُلس پیٚدان چھےٚ۔ گونٛد۔ ژیر کرانکھ۔

صَنعتھ (صنعت):۔اَتھِ کام۔ کاریگری۔ ہونَر۔

صَنَم:۔(ن۔مؤل؛ صَنَم <ع: صَنَم)۔ ا۔ پوتٕل۔ ۲۔ مَدٕن۔ ماشوق۔ محبوٗب۔ دِلدار۔

صنم خانہٕ:۔بُت خانہٕ۔ سو جاے یتہِ پوتلی ہِن تھاونہٕ۔

صَنوبَر:۔(ن۔مؤل: صَنوبر <ع: صَنوبر)۔ یأر۔ اکہِ کُلیک ناو یُس تھوٚد آسان چھُ۔ شأیری منٛز چھےٚ اَمہِ کُس انداَمس ماشوقہٕ سنٛدِس قدَس سۭتۍ تشبیہ دِنہٕ یوان۔

صابَن:۔(م۔مؤل: صابَن <ع: صابون) کاسٹِک، چرٕب تہٕ اوٚٹ بیتٕر رَلأ وِتھ بناونہٕ آمٕژ اکھ چیٖز داتھ یمہِ سۭتۍ کینٛہہ چھلان چھِ۔ (بروٚنٛہہ اُس کٔشیر منٛز دوٚیہ قسمٕچ صابن بناونہٕ یوان۔ اَکھ قسم اوس تیلہٕ صأبن تہٕ بیاکھ سپیٖد صأبن)۔

صابنہٕ پوٚس:۔تِم پھوکہٕ ڈۄنۍ بیتٕر یِم صابَن مَلنہٕ سۭتۍ کھسان چھِ۔

صأبنہٕ چاُٹُھ:۔صأبنہٕ ٹِکی۔

صابنہٕ گوٚر:۔صابَن بناوَن وول۔ یُسنٛد پیشہٕ صابَن بناوُنۍ آسہِ۔

صابنہٕ ووٗنۍ:۔سُہ آب یتھ صابَن رَلہٕ آسہِ۔

صاحب:۔(ن۔مؤل: صاحب <ع: صاحب)۔ ا۔ فرہنگی۔ ۲۔ دفترٕکس سارِۍ وے کھوتہٕ بڈِس اَفسرس وَنان۔ ۳۔ یِزتہٕ پٹھۍ زِٹھس تہٕ وَنان صأب۔

صاحب بُہودُر:۔ا۔ کُنہِ محکمُک زیٹھ۔ بوڈ صاحب۔

بۄڑ افسر۔۲۔ ہزلہٕ پأٹھۍ تہٕ چھُ کأنٛسہِ یوان وَننہٕ۔

صاحب ٹوٗپۍ:۔فرہنگۍ ٹوٗپۍ۔ تِمہٕ قسمٕچ ٹوٗپۍ یوسہٕ یوٗرپین دِوان چھِ۔

صاحِب، صاحِب:۔(ن۔ مؤل: صاحِب ح ع: صاحب) ا۔خودا۔اللہ۔دَے۔صأب۔

صاحبِ اَولاد:۔شُری وول۔تھٕلۍ مٕلۍ وول۔

صاحبِ آگاہ:۔یَس آگاہ یا نظر موٕکھ آسہِ۔یَس آگاہ موٗکل آسہِ۔زانٕن وول۔

صاحبِ اختیار:۔بختیار وول۔حأکم۔مجاز۔

صاحبِ اِقبال:۔بختہٕ بۄڑ۔خوش نصیب۔اِقبال مٔند۔ یَس جان نصیبہٕ آسہِ۔

صاحبِ تخت:۔بادشاہ۔راژٕ۔یَس اَتھ حکوٗمتھ آسہِ۔ یَسُند راج آسہِ۔

صاحبِ تدبیر:۔مُدَبر۔یَس اَتھ وَتھ اَنٛز تکان آسہِ۔دانا۔

صاحبِ ثروَت:۔آسَن بَسَن وول۔دَنہٕ دیٖنارٕ وول۔ یَس سیٹھاہ حیثیت آسہِ۔مالدار۔

صاحبِ خانہٕ:۔گروول۔گرُک مألِکھ۔خانہٕ دار۔

صاحبِ دِل:۔دِلہٕ وول۔عأرِف۔پرہیز گار۔ وۄتمٕت اِنسان۔

صاحبِ دیوان:۔سُہ شأعِر یَسُند کلامہٕ کِتأبی شکلہِ منٛز آسہِ۔

صاحبِ ذوق:۔شوقہٕ وول۔مزاژ کٕنۍ جان۔نفاست

پسند۔یَس جان چیزن ہُنٛد شوق آسہِ۔

صاحبِ زبان:۔کُنہِ زبأنۍ ہُنٛد مأہِر۔یُس کُنہِ زبأنۍ ہِنٛزِ زأوِ جارزانان آسہِ۔زَبان دان۔

صاحبِ عِلم:۔پٔرمُت لیٖکھمُت۔عألِم

صاحبِ کمال:۔کأنٛہہ ہونَر پٔزٕ پأٹھۍ زانٕن وول۔ ہونَر مٔند،کأرِگر۔ووستاد۔۲۔ووتمُت اِنسان۔

صاحبِ کِتاب:۔ا۔سُہ شخص یَمۍ کأنٛہہ کتاب یا کتابہٕ لیچھمٕژ آسَن۔۲۔(ورگہ) سُہ پأغمبر یَس پیٹھ کأنٛہہ آسمأنی کتاب نأزِل آسہِ سپزمٕژ۔مُرسل۔

صاحبِ لولاک:۔ا۔آنحضرتن ہُنٛد اَکھ لقب۔۲۔اشارٕ پأٹھۍ نبیٔ اکرم یمن کُن حدیثہِ قُدسیَس منٛز رِوایتھ چھےٚ زِ خوداین فورموو اگر تُہۍ آسہِ ہونہٕ نےٚ پأدٕ کرٕنۍ،نےٚ اَس نہٕ تیٚلہِ یہِ کأینات پأدٕ کرٕنۍ۔

صاحبِ مألِکھ:۔گرُک زیٚٹھ خانہٕ دار۔

صاحبِ نظر:۔وٕلی۔صاحبِ آگاہ۔

صاحبِ ہوش:۔باحواس۔عأقِل،گاٹُل،دانا،دأنشمٔند۔

صاحِبِ زادٕ:۔ٹاٹھرِ سان نیٚچوٕس وننہٕ یوان،بٔڈِس مُہنوِ سُند نیٚچُو۔

صادِق:۔(مؤل: صادِق ح ع: صادِق)۔پٔزۍ یور۔ شوٗد۔شوٗدی مَنہٕ وول۔یَس نہٕ کھوٗٹھ کھوٗٹاے آسہِ۔

صادِقُل قول:۔پٔزۍ یور۔یُس نہٕ پننہٕ نِس پٔزِس ڈٔلہِ۔یَس پننہٕ نِس لفظس پیٹھ روزِ۔اِیماندار۔

صاف:-(مؤل:صاف <ع:صاف)۔ا۔شۆد۔یَتھ نہٕ رَل آسہِ۔خالِص۔مِ:صاف دود، صاف گیو۔
۲۔اوبرٕ یاوُنلہِ ورأے اَسمان۔مِ:ازچھُ صاف۔
۳۔کھوٹھ کھٹأیی ورأے،شۆد،یَس نہٕ دِلَس مَل آسہِ۔مِ:سُہ چھُ دِلہٕ کِنۍ صاف۔۴۔یَتھ نہٕ مَل آسہِ۔چھٕلِتھ چھوٗکِتھ۔مِ: دستر خان گژھہِ صاف آسُن۔۵۔ژۆرِ اَتھہِ نہٕ آسُن۔اَتھہٕ ژۆرِ پٔٹھ دریوٗمت آسُن۔۶۔نیک نیتھ۔یَس بدکیرن یا کوڈرا آسَن نہٕ۔مِ:صاف نظر۔نظر صاف۔

صاف پأٹھِن،صاف پأٹھۍ:-۱۔کُنہٕ شَکہٕ ورأے۔مِ: عیز ہُنٛد ژٔنٛدراوس صاف پأٹھۍ بوزنہٕ یوان۔
۲۔تَل پٔٹھ تھوٗنہٕ ورأے۔اصل پأٹھۍ۔سیٚدٕ سیوٚد۔مِ:مےٚ ووٗنُس صاف پأٹھۍ زیور گژھہِ نہٕ یُن۔

صاف جواب:-سوٗلہٕ اِنکار۔بلکُل یَب۔

صاف شفاف:-بلکُل صاف۔یَتھ نہٕ رَژھ تہٕ مَل آسہِ۔دود ہیوٗ۔چھٕلِتھ تہٕ چھوٗکِتھ۔

صاف صاف:-(ورگہٕ)اَل پٔٹھ تھوٗنہٕ یا ژٕتھ رَچھنہٕ ورأے۔واضح کٔرِتھ۔بٔتھس بروٗنہہ کنہِ۔پاس کرنہٕ ورأے۔کھوژنہٕ ورأے کھوٹھ کھٹایہِ ورأے۔

صاف ظأہر آسُن:-۱۔نوٗن آسُن۔۲۔یَتھ تہٕ پٔز ژھٔنہٕ آسہِ۔۳۔یَتھ کانٛہہ ژھاے آسہِ نہٕ۔

صاف کرُن:-۱۔مَل تُلُن۔مانجِن نادُن۔۲۔زٔمینہٕ ہیتر پٔٹھ ہُر یمانہٕ چیز ہیتر تُلِتھ تَتھ۔گُلۍ گُڑ تہٕ زَنڈ ہیتر ژٕٹِتھ زٔمین سوٚتُر کرُن۔پوٗتھر سوٚتُر کرُن، کانٛہہ چیز(سوٗن ووگُن کأستھ)ہموار بناوُن۔

صاف گۆیی:-صاف صاف وَنُن۔تَل پٔٹھ تھوٗنہٕ یا ژٕتھ رَچھنہٕ روٚستے وَنُن۔پوٚز پوٚز وَنَن۔کھوٹھ کھٹأیی ورأے وَنَن۔

صافہٕ:-(ن۔مؤل:صاف <ہ:صاف)۔دَستار۔پگ۔پگرِ (خاص کٔرِتھ خٔر بٔزۍ چالہٕ گنٛڈہٕ مژ پگ)۔

صالِح:-(مؤل: صالِح <ع: صالِح)۔رُت۔نیک۔نیکوکار۔نیکی کرَن وول۔شودمٕنگ۔

صٔحی:-(مؤل: صٔحی <ع: صحیح۔۱۔ٹھیکھ، دُرُس۔مِ: اَتھ سوالس چھُ یوہے جواب صٔحی۔پٔز۔پوٚز۔یَتھ منٛز نہٕ کانٛہہ شَکھ آسہِ۔مِ:تُہُنٛد فرماوُن چھُ صٔحی
۲۔مُصدِقہٕ۔ثِقہٕ۔

صٔحی پأٹھِن، صٔحی پأٹھۍ:-یِتھہٕ پأٹھۍ پزِ تِتھہٕ پأٹھۍ۔وارٕ پأٹھۍ۔پوٗر،یڈ بٔرِتھ۔مِ:صٔحی پأٹھۍ دِتۍ نَس چوب۔سَرسَری نہٕ۔پیٹھۍ پیٹھۍ نہٕ۔پوٗرٕ سٔنِتھ۔

صٔحی سلامَتھ:-وارٕ کارٕ۔وارٕ پأٹھۍ۔مِ: تِیلہٕ بۆزۍ زِ یِیلہٕ صٔحی سلامَتھ واتو۔

صٔحی صٔحی:-ٹھیکھ ٹھیکھ۔پوٚز پوٚز یا پزٕ پزٕ۔

صٔحی کرُن:-۱۔ٹھیکھ کرَن۔نوٗقص کاسُن۔شِقہٕ پأٹھۍ کینٛہہ اَنزراوُن۔۲۔مقرر کرُن۔مشخص کرُن۔مِ: کٔری تو صٔحی یڈ بٔرِتھ دِموس چوب۔

صُحی گرُژھن:-١۔ شبقہٕ سپدُن۔ کانٛہہ گتھ بیترٕ وارٕ پأٹھی سَر گرٕژھنی۔ کٔنٛیک ژو بٔوتھ اتھ یِنَ۔ طے گرُژھن۔٢۔ مُقرر گرٕژھن۔ مشخص گرٕژھن۔

صحیفہٕ:-(مؤل:صُحیف<ع:صحیفۃ) کتاب۔ رِسالہٕ بیترٕ۔

صُحیفٕہِ آسمأنی:-سو کِتاب یوسہٕ خودایہٕ سٕنٛدِ طرفہٕ نأزِل آسہِ سپٕزٕ مژ۔

صَحرا، صُحراو:-(ن۔مؤل:صُحرا، صُحراو<ع:صحرا)۔ ١۔ ریگستان۔ یتہِ سکھے سکھ آسہِ۔ سیکہٕ مأدان۔ ٢۔ أندی پکھی یلے جاے۔ وأران یتہِ وَتھ وار آسہِ۔ یتھ جایہِ نہٕ کانٛہہ تہِ گُل کوٗٹ آسہِ۔ دُ جارٕ علاقہٕ۔

صَدی:-(م۔مؤل: صَدی <ع: صدی)۔ ہٕنٛگُل۔ أکھ ہتھ وٕری یہِ۔ شَتہنی۔

صُرآکھن:-تٔی پأٹھی نَنہٕ وانہٕ۔ زأنتھ مأنتھ۔ ٹاکارٕ۔

صَلیب:-(م۔مؤل:صَلیب<ع:صلیب)۔١۔ دار۔ پھٔہِ کوٗٹ۔٢۔ کرٛاس۔ عیسأے مذہبک نِشانہٕ یُس شکلہِ آسان چھُ۔

صأب:-(مؤل: صأب <ع: صاحب)۔ کأنٛسہِ ہِنٛدِس ناوَس سٕتی یزتہٕ پٔژھی وَننہٕ یوان۔ م:بابہٕ صأب۔ شیخ صأب۔

صأبر:-(مؤل: صأبر <ع: صابر)۔ ١۔ ژَبڑ کرَن وول۔ تو حٔمل کرن وول۔٢۔ یُس پٔژٕ پژارِ۔ یُس برداش کرِ یا برداش آسہِ کران۔

صأفی:-خرٕچ ژٔٹتھ یہِ وٕتھ یہِ۔ شوٗرزی (آڈتھن ہنٛز کتھِ) م: ژٕژٕٹھی پیٹھہٕ آیہِ صأفی داہ روپیہ۔

صأفی:-(م۔مؤل:صافی<ف:صافی)۔١۔اتھِ ہٕشہ۔ ٢۔ سوٗدٕج ییمہِ مُنٛزی کینٛہہ چھأنی زِ۔٣۔ پھٔش دِنٛگ یا کینٛہہ ووتھراونک پلو، ڈسٹر۔٤۔ دُج یوسہٕ دام دِنہٕ وِزِ چلمہِ تلہٕ تھوٕنہٕ یوان چھےٚ۔

صحت:-(ن۔مؤل:صحت<ع:صِحۃ)۔ أربر۔ اوزٕ زٕو، اوزٕ جان۔ م: گرٛہ ژٕے صحت۔٢۔ زٕوٕچ حالتھ۔

صحت اَفزا:-١۔ سُہ چیز ییمہِ سٕتی زوٗگری زِ۔ ییمہِ سٕتی صحت ہُرِ۔

صحت افزامقام:-سو جاے۔ یتہِ صیحتَس پٔٹھ جان اثر پیٚیہٕ۔ سو جاے یتہِ صاف ہوا بیترٕ تہٕ جان ماحول آسنہٕ سببہٕ زوٗگری زِ۔

صحت کرُن:-زُوس منٛز ییٚن۔ زوٗگرُن۔ جان صحت آسُن۔

صحت منٛد:-تنٛدرُست۔ سُہ یُس جان زُوزہتہٕ آسہِ۔

صحت یاب:-بلٕیو مُت۔ صحت منٛد۔ ییٚمی جان زٕو زہتہٕ کوٗرمُت آسہِ۔ خاص کٔرتھ سُہ یُس بیمار پٔتہٕ زُوس منٛز آمُت آسہِ۔

صیٚحتہٕ بَدن تہٕ رَحتہٕ جان:-یہِ چھےٚ أکھ أہی۔

صحتہِ کأمِل:-پۄرٕ صحت۔ بِلکُل أربر۔ یہِ چھےٚ أکھ أہی۔

صیٚحتہٕ وول:-یُس صحتِ منٛد آسہِ، یُس وارٕ وَتہٕ

آسہٕ۔ یہ چھُے اَہی۔

صِدق:-(مؤل:صِدق <ع:صِدق)۔پۆز پزر۔

صِدق دِلی (سان):-پزٕ دِلہٕ۔ کُنہِ کھوچر ورأے۔ دوکھہٕ دغأیی روس۔

صِدیق:-(ن۔مؤل:صِدیق <ع:صدیق <صدیق) ١۔پزٕی یور۔ بلکل پۆز ونن وول۔٢۔حضرتِ ابوبکرؓ (یِم زَن گوڈنکی خلیفہٕ اَسی) سُند لقب۔ ٣۔یار۔وَفادار۔

صِراطا لمُستقیم:-سیزٕ وتھ۔یتھ وَتہِ پٮ۪ٹھ اِنسان نجاتھ لبہِ۔

صِرف:-(مؤل:صِرف <ع:صِرف)۔یَس۔خاٗلِص، چھر۔اَتی یاسے یوت ییٚہ نہٕ کینہہ۔

صِفتھ:-(ن۔مؤل:صِفت <ع:صفۃ) گون۔وَصف۔ خوٗبی۔

صِفتھ آسُن:-جأنی آسٕنۍ۔کینہہ تِتھ آسُن یہ نہٕ سارِنے منز آسہِ۔وَصِف مأنُن۔

صِفتھ زانُن:-نا کارٕ کتھِ تہٕ پٔنُن وَصِف مأنُن۔ توتھ باسُن۔

صِفتھ نیرٕنۍ:-١۔جان گون ہاوٕنۍ۔جان چال چلن تہٕ ووتھ بیٹھ تھوٕنۍ۔رِتی وَصِف اَستھ تہٕ کرُن یہ پزٕ۔٢۔(ہرزٕ پأٹھی) توتھ ہاوٕنۍ۔اَندرِم خباثتھ ننۍ کڈٕنۍ۔

صِفر:-(ن۔مؤل: صِفر <ع: صفر)۔١۔ شۆد۔ ٢۔نو قطُک نِشانہٕ۔زیرو۔

صِلے رَحَم ژھنُن:-پزٕ کرِتھ اَندردَے اِنصاف برُن۔ آربُن۔اِنصاف یُن۔زرِ زرِ گژھن۔

صِنف:-(مؤل:صِنف <ع:صِنف)۔قِسم جِنس۔

صِیام:-روزٕ۔ماہِ رمضان۔

صُبح:-(ن۔مؤل: صُبح <ع: صُبح)۔گاش پھولنُک وَق۔ راتھ موکلتھ گاش ینُک سَے۔پزٕ باتھ۔(ورگہٕ پأٹھی) سُل، آدَن، م:وُنہِ چھُ صُبح۔

صُبح پیٹھ شام تام:-دوہی دوہس۔دُہکین ژون پُہرن۔پوٗرِ دوہس۔

صُبح پھولُن:-گاش یُن ہوان۔ مالہٕ پھولنہٕ۔ غزل پھولُن۔

صُبحدَم:-صُبحُک وَق۔گاش پھولنچ وِز۔

صُبحس، صُبحن، صُبحنس:-صُبحکہٕ وقتہٕ۔گاش پھولنہٕ پتے۔

صُبحأے:-گاش پھولونے۔گاش یوان یِوانے۔راتھ موکلتھے۔(ورگہٕ پأٹھی) سُلی۔

صُحابہٕ، صُحأبی:-(ن۔مؤل: صُحاب <ع: صحاب) تِم مُسلمان یِموٚ آنحضرتؐ روبروٗ چھ تہٕ تِمن ستی وٕتھی پٮ۪ٹھی۔صُحاب صأب۔نبیؐ صأبس ستی ووتھن بِہن وألی۔

صُحبِ ابراہیم:-تِمہٕ آسمأنی کتابہٕ یِمہٕ حضرتِ ابراہیمسؑ پیٹھ نأزِل سپزٕ۔

صُرَے:-شراب یا پوٚنی بیترِ تھاونہٕ باپتھ تھزِ کار بانہٕ یا بوتل۔

صُراُحی:-(م۔موٗل.صُراُحیٖ<ف:صُراحی)۔صُرے۔
اَکہِ خاص قسمُک بانہٕ یَتھ منٛز یِژ پاٗٹھۍ شراب
تھوان چھہِ،یہِ چھُ گردنہٕ زیوٗٹھ،گلہِ تنگ تہٕ بونہٕ
واُہر تھ آسان۔

صوٗبہٕ:-(ن۔موٗل:صوٗب<ع:صوبۃ) ریاستُک سُہ
حِصہٕ یَتھ منٛز کیٛنٛہہ کمِشنٔری یہِ تہٕ کیٛنٛہہ ضلہٕ شاٗمل
آسان چھہِ۔ریاستُک کاٗنٛہہ بوٚڈ حصہٕ۔

صوٗبہٕ دار:-(موٗل:صوٗبہٕ دار<ع:صوبۃ+ف:دار)
صوٗبُک حاکِم۔سُہ بوٚڈ اَفسر یُس کُنہِ صوٗبُک
اِنتظام چلاوُن مَتہِ آسہِ۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) کاٗنٛہہ
بوٚڈ اَفسر۔فوجُک سُہ عوٚہدٕ دار یُس جمادارس
ہیٚوٚر آسان چھُ۔

صوٗبہٕ داٗری:-کُنہِ صوٗبٕچ حاکمی۔

صوٗبیدار:-(ن۔موٗل:صوبیدار<ع:صوبۃ+ف:
دار) جمادارس کھۄتہٕ فوجُک اَکھ افسر۔

صوٗرَتھ:-(م۔موٗل.صوٗرت<ع:صورۃ) ا۔شکل
ہیٔت۔۲۔سٗبیل۔تدبیر۔۳۔ژویَتھ۔۴۔خۄشی یَتھ۔

صوٗرَتھ آسٕنۍ:-گُزار آسُن۔خۄشی یَتھ آسٕنۍ۔زِنٛدٕ
روزنٕکی جان وٚسیلہٕ آسٕنۍ۔

صوٗرَتھ کرٕنۍ:-ا۔خۄشی یَتھ کرٕنۍ۔پۄنٛسہٕ ژوٚنک سوٗمبرن۔
۲۔سٗبیل کرٕنۍ۔

صوٗرَتھ گژھنۍ:-ا۔گزارٕچ سٗبیل ہُنۍ۔ہاکس بَتس
گزارٕ سپدُن۔۲۔کیٛنٛہہ کم زیادٕ ہیچھُن یُتھ
بروٗنٛہہ کُن پکہِ۔

صوٗرَتھ نہٕ روزٕنۍ:-ا۔وَتھ نہٕ روزٕنۍ پاے نہٕ
روزُن۔حالتھ نہٕ روزٕنۍ۔۲۔گزار نہٕ روزُن۔

صوٗرژبَنٛد:-گزارٕ وول۔دولتھ مَنٛد۔

صوٗرتِ حال:-موٗجوٗدٕ حالتھ۔سو حالتھ یوسہٕ
چلہٕ وٕنۍ آسہِ۔خبراتر۔

صوٗرِ اسراُفیل:-سُہ یوگ یُس اِسراُفیل قیامَتھ شوٚرٕ
سپدُنس پیٹھ وایہِ۔

صوٗفی (صوٗفۍ):-(ن۔موٗل:صوٗف<ع:صوفی)۔
ا۔پرہیزگار۔تارِکُل دُنیا۔پارسا۔۲۔کاُشرِ ین
ہُنز اَکھ کرٛام۔یِژ پاٗٹھۍ چھہِ کاندرَن وَنان۔
۳۔تموک چاوَن وول۔چلمہِ تموک برَن وول۔
کٔکری۔۴۔خاص چِلٕمہٕ۔۵۔صوٗفی مَتک ماننٕ وول۔

صوٗفہٕ:-(<ع:صُفہ)۔ا۔پینٛڈ خاص کر یوسہٕ زیارتس یا
مٔشیدِ ستۍ آسہِ۔۲۔حمامچہِ پاُترِ کنہِ یمہٕ تاوَنہٕ یوان
چھےٚ۔حمامُک پاُترِ خانہٕ۔

صوٗفیانہٕ:-(ن۔موٗل:صوٗفیان<ف:صوفیانہ)۔
ا۔یَتھ صوٗفیَن ستۍ توٲلُق آسہِ۔۲۔مُری دیاٗدٕ مٕچہِ۔

صوٗفیانہٕ رَنٛگ:-ہلکہٕ رَنٛگ۔شوخ رَنٛگ نہٕ۔

صوٗفیانہٕ رَنٛگہٕ:-یَتھ ہلکہٕ رَنٛگ آسہِ۔یَتھ شوخ
رَنٛگ آسہِ نہٕ۔

صوٗفیانہٕ موٗسیقی:-اَکہِ قسمُک گیوٚن یَتھ منٛز
تصوٗفٕکی مقام تہٕ مَساٗیِل گیونہٕ چھہِ یوان۔

صۆبُوٗر:-(ن-مؤل:صۆندُوق <ع: صندوق)-لکرِ
ہنز یا ٹینُو بیترِ چ پیٹۍ۔

صوبہٕ:-وُچھو "صۆبہٕ"

صوحبَتھ:-(م-مؤل:صوحبت <ع:صحبۃ)-ا-اِکوَٹہٕ
روزُن-یکجا آسُن-دوستی-کانٛسہِ سٟتۍ ووتھُن
بہُن-۲-ہم بستری-کانٛسہِ شونٛگُن-۳-ووتھ
بیٹھ-کانٛسہِ ہٕنٛدی صِفتھ-

صوحبَتہٕ بَد:-خراب صوحبَتھ-ناکارٕ لُکن سٟتۍ ووتھُن
بہُن تہٕ پھیرُن تھورُن-

صوحبَتھ کرٕنۍ:-ا-کانٛسہِ سٟتۍ ووتھ بیٹھ روزٕنۍ-
۲-زنانہِ شونٛگُن-سَنگ کرُن-

صوحبَتھ لگٕنۍ:-سَنگ لگُن-کانٛسہِ ہٕنٛدی صِفتھ لارٕنۍ-

صوحبَتھ لارٕنۍ:-کانٛسہِ ہُند ناکارٕ طیرٕ لارُن-

صیغہٕ:-(ن-مؤل:صیغ <ع:صیغۃ)-ا-(گٔنہِ ادارُک
کانٛہہ) شوبہٕ-شاخ-حِصہٕ-۲-اِپز تو ہمَتھ-

صیغہٕ کرُن:-کیس کرُن-پلٕز تو ہمَتھ کھارٕنۍ-

صیقل:-(ن-مؤل:صیقل <ع:صیقل)-مُلمہٕ بابیہٕ-
گٔنہِ چیزس زَنگ بیترِ ژٕلُن یا سُہ پالش بیترِ کٔرِتھ
پرٕزٕلاوُن-

## ض

ض:-عربیک پنداٛہیم، فارسیک اَرداٛہیم، اُردوٗ ٹُک
اَکوٗہیم تہٕ کاشرٕ ٹُک ستوٗہیم اَچھر-اَبجد حسابہٕ
چھُ اَتھ اَٹھ شَتھ مول-

ضَبط:-(ن-مؤل:ضَبط <ع:ضَبط)-ا-روک-پرہیز-
بٔندِش-۲-کینٛہہ رٹُن-بَند کرُن-

ضَبط سپدُن/گرٕژھن:-قُرقس تل یُن-مال
جاداد بیترِ قُرقس تل یُن-مال-

ضَبط کرُن:-ا-پرہیز کرُن-گمنٛڈٕ رٹُن-۲-قبضس
اَندر اَنُن-بَند کرُن-

ضَبطی:-(م-مؤل: ضَبطی <ع: ضبط)-ا-قُرق-
کینٛہہ قبضَس تل اَننُک حُکم-مِ: ضَبطی اَنٛتھ
کھیٛوہَس سوٗرے جاداد-۲-پابٔندی-بٔندِش-

ضَخامَت:-(م-مؤل: ضخامَت <ع: ضَخامَۃ)-
ا-آڑو باڑو-۲-صَفو حِسابہٕ گٔنہِ کتابہِ بیترِ ہُند موٚٹر-
حُجم-۳-جسامت-

ضَرَر:-(ن-مؤل:ضَرَر <ع:ضَرر)-دٔکھ-تکلیف-
نوقصان-دَدارٕ-چھوکھ-

ضَرر دیُن، واتناوُن:-ا-دَدارٕ واتناوُن، نوقصان
واتناوُن-دٔکھ وارتناوُن-۲-تکلیف دیُن-
چھوکھ دیُن-

ضَراب خانہٕ-ٹکسال:-روپین بیترِ ضرب ترٛاونچ
جاے-سوٗ جاے یتہِ سِکہٕ بناوان آسَن-

ضَرب:-(ن-مؤل: ضرب <ع: ضرب)-ا-گوٚنُن-
کانٛہہ گرٕنٛد کرٕ ژھرٕ کرٕ وٲژیا کرٕ گیہ کڈنُک طریقہٕ-
۲-تیز دار کٔرِتھ ہتھی یلہِ چ ٹٕنٛڈ-چوٹ-چھوکھ، کھہہ

کھش بیتر۔۳۔سِکہ نانک یا موہر۔۴۔دیارَن ٹھپہِ ترٛاوُن۔۵۔شارُک أخری رُکُن۔

ضَرب دیُن، کرُن:۔۱۔عدَد پانہٕ وأنۍ گونُن۔ مِ: ترٛےٚ پنژن گوپنداہ۔ أٹھن ژٕ گوشیتھ۔۲۔سِکہِ موہر ترأوِتھ جأری کرُن۔ مِ: گورنر عطامحمد خانن دِژ ووشیخ نورالدین ولی سٕنٛدِ ناوٕ ضَرب۔

ضَربہٕ شدید:۔۱۔لڑایہِ بیترِ منٛز آمٕت یا لوگمٕت وو کھ چھوکھ، سخ چوٹ۔سوٚن زَخم۔۲۔تیُتھ چوٹ ییمہٕ ستۍ کانٛہہ تان آسہِ پھٕٹمٕت۔

ضربُ المثل:۔یہ کینٛژھا مثالہ پأٹھۍ وَننہٕ آسہِ یوان۔ مِ: والہِ گرٛہن ہنٛز کو کرِ گژھنۍ۔

ضَم (کرُن):۔(ن۔مؤل: غَم < ع: ضَم) ژانُن، رَلاوُن، شأمِل کرُن (کانٛہہ أکھ علاقہٕ یا اَدارٕ بیترِ کُنہِ بیٚیِس علاقس یا اَدارس بیترِ منٛز)۔

ضمادٕ:۔(ن۔مؤل: ضماد < ع: ضماد)۔ٹکورٕ۔لیتہِ۔ آبَس یا تیلَس بیترِ پٮ۪ٹھ بناونہٕ آمٕت دوائیُس دادِ پٮ۪ٹھ یا دَگہِ ہنٛز جایہِ مَتھان چھ۔

ضَمانتھ:۔(م۔مؤل: ضمانتھ < ع: ضَمانۃ)۔ (کانٛسہِ ہنٛز) ذِمہٕ دأری۔مٕتہِ ہیٚنٛج عمل۔مٕتہِ دأری (لیکھتھ)۔تقریرۍ یا تحریرۍ ذِمہٕ دأری پننہٕ نبن شانٛن پٮ۪ٹھ ہیٚنۍ۔

ضَمانتھ دِنۍ:۔کانٛسہِ ہنٛز مٕتہِ دأری پانس پٮ۪ٹھ ہیٚنۍ۔ضامن اَژُن۔کانٛہہ کُنہِ جایہِ موکلاوِتھ سہٕ ترٛ بیہٕ پیش کرنٕچ ذِمہٕ دأری۔(خاص کر عدالتہٕ یا پُلسہٕ بیترِ منٛز)۔

ضَمانتھ کرٕنۍ:۔(عدالتہٕ منٛز یا پُلسہٕ منٛز) کانٛہہ کانٛسہِ ہنٛز مٕتہِ دأری پٮ۪ٹھ ترٛاوان۔

ضَمانتھ نامہٕ:۔ضأمن اَژنٕک تحریر۔سہٕ کاکد یتھ پٮ۪ٹھ ضمانتھ دِنٕچ شرط لیکھتھ آسن۔

ضَمانتھ ہیٚنۍ:۔ضأمن پیش کرنٕک حُکم دیُن۔وادٕ پوٗرٕ کرنہٕ موکھ نقد یا جنس حولہٕ تھَونٕک شرط ترٛاوان۔

ضاف:۔(ن۔مؤل: ضاف < ع: ضعف)۔۱۔غش۔ بےہوشی۔گتہٕ۔مُرژھا۔۲۔بیم۔ڈٔر۔زوال۔ مِ: غریبس بچارس چھُ اَز کل بٔتس تہٕ ضاف۔ ۳۔کمزوری۔

ضاف اَژُن:۔(بوچھِ ستۍ) غش یُن۔بےہوش سپدُن۔

ضاف گژھن:۔وُتاریُن۔گتہٕ یُن سیٹھاہ کمزور گژھن۔مِ: بوچھِ ستۍ چھس ضاف گژھان۔

ضاف یُن:۔وُتاریُن۔گتہٕ یُن۔مُرژھا پھیرٕنۍ۔

ضایہٕ:۔(مؤل: ضایہٕ < ع: ضائع)۔۱۔خراب۔بَرباد۔تباہ۔ تلف۔۲۔یِنہٕ وٕتھ ییہِ۔یتھ نہٕ کینٛہہ اَتھِ ییہِ۔ ۳۔یہِ ترٛاوُن لایق گژھِ۔۴۔یِہ نہٕ کُنہِ کلمہٕ ہُنٛد روزِ۔

ضایہٕ کرُن:۔۱۔خراب کرُن۔تباہ کرُن۔بَرباد کرُن۔ تلف کرُن۔۲۔کُنہِ لایق نہٕ تھَوُن۔ترأوِتھ ژھننٕ لایق کرُن۔

ضایہِ گژھن:۔۱۔راوُن۔خراب گژھن۔کلمہٕ کارس

لایق نہٕ روزُن۔۲۔ شُرِس بیترِ سُند رٕژِتھ گرٛوٗھن۔ بے پرداخت گرٛوٗھن۔۳۔(زراتھ بیترِ) ہاپہٕ گرٛوٗھن۔

ضُخیٖم:۔(مؤلِ: ضُخیٖم <ع: ضُخیٖم ۔۱۔سو کتاب بیترٕ یتھ جان حجم یاموجرٕ آسہِ۔ آڈٕ وباڈودار۔

ضٔمیٖر:۔(ن۔مؤل: ضٔمیٖر <ع: ضمیر)۔ مَنٛز آواز۔ گوناہ ثواب یا پاپھ پوٚنِ کرنہٕ وِزِ مَنٛز ژھنہٕ وٕنی۔ دِلُچ لَے۔ حُسن وقوٗبوٗح ژارنک أندریم حِس۔

ضٔمیٖر فروش:۔ضٔمیٖر کِنَن وو۔ بےٚ اُصوٗل۔ بےٚ ایمان۔ دَخل دوٗز۔ غدار۔ یہ چھِ تَس تہٕ وَنان یُس پنٕنہٕ فایدٕ خاطرٕ ژھمتی تہٕ موٗلِراُ صوٗل مُچہِ مولہٕ کنہٕ۔

ضٔمیٖمہٕ:۔(ن۔مؤل: ضٔمیٖم <ع: ضمیۃ)۔ پُش ژوٗمت حِصہٕ۔ کتابہٕ ہِندِس مَتنَس متلق کانٛہہ فاضل حِصہٕ۔

ضٔییٖف، ضعیٖف:۔(مؤل: ضییف <ع: ضعف)۔ ۱۔ لیوٗش۔ کمزور۔ لاغر۔ یُس نہٕ ہیکتھ آسہِ۔ نوتوان۔ سنہٕ ہیکن گۅر۔۲۔ (ورگہٕ) عُمرِ دیاٗم۔ بٔڈ۔

ضٔییٖفُ الاعتقاد:۔یُس سوٚچنے سمجھنے کتھ پٹھ پڑھ کرِ۔ وَہم پرست۔

ضٔییٖفی، ضَعفی:۔۱۔ لیہوٗر۔ کمزوٗری، نوتوٲنی، ڈیوٗل آسُن (جسمہٕ کُنی)۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) بُجر۔

ضأبطہٕ:۔(ن۔مؤل: ضأبطہ <ع: ضابطۃ)۔۱۔ یہ پرٛ۔ یہ شُوٗبہٕ۔ یہ اُصولَن پرٛ۔۲۔ قأید۔ اُصوٗل۔

قونوٗنٕچ گنٛڈری تی۔

ضأمیٖن بضأمن:۔(مؤل بضأمیٖن بضأمن <ع: ضامن)۔ ضمانتھ دِنہٕ وول۔ کانٛسہِ ہنٛز ذِمہٕ دأری ہینہٕ وول۔

ضأمیٖن اَژُن:۔منٛز اَژُن۔ ضمانتھ دِنی۔ ذِمہٕ دأری ہینٛز۔

ضأمیٖن دار:۔وُچھو "ضأمن"۔

ضأمیٖن دیٖن:۔کانٛہہ وادٕ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ بیٛاکھ زٕ ون پنٕنہٕ بَدل مَتھٕ دارتھوٗن۔

ضأمیٖن روزُن:۔وُچھو "ضأمیٖن اَژُن"۔

ضِد:۔(ن۔مؤل: ضِد <ع: ضِد)۔۱۔ شُترت۔ رِش۔ دُشمنی۔ عداوتھ۔ مِ: تمن چھُ پانہٕ وٲنی سخ ضِد۔ ۲۔ ہٕشرٕنہٕ آسٕنٛچ حالتھ۔

ضِد آسُن:۔دُشمنی آسٕنی۔ عداوتھ آسُن۔ کانٛسہِ ہنٛز سخ پھوشان آسٕنی۔

ضِد تھوٗن:۔کانٛسہِ ہُنٛد کانہٕ تُل تھوٗن۔ حسد تھوٗن۔ دُشمنی تھوٗنی۔

ضِد کڈُن:۔یہ کانہٕ تُل آسہِ تہٕ ہوٗرُن۔ حسد ورتاوُن۔

ضِدی:۔(مؤل: ضِدی <ع: ضِد)۔۱۔ ضِد تھوٗن وول۔ یُس کانہٕ تُل روزان آسہِ۔ حسدی۔ ۲۔ ہٹ دَرمی۔ ۂڈی۔

ضِلہٕ:۔(ن۔مؤل: ضِل <ع: ضلع)۔ بوٗند بَستہٕ حسابہٕ مُشخص کرنہٕ آمُت کانٛہہ اَکھ علاقہٕ یتھ منٛز کینٛہہ تأصیٖل آسان چھِ۔

ضِلہٕ دار:۔سَرکارکہٕ طرفہٕ گامَن ہُنٛد اُبی پانہٕ مالُک یہ

بیترِ جمع اِندراج تھوَن وول۔

ضِمَن :- قونٛونکہِ کُنہِ دفعُک کانٛہہ حِصہٕ۔

ضِمنَن :- کانٛہہ کتھ یوسہٕ کتھِ کران کران منٛز دوتھِ۔ مٔنزی ، بےٚ شونٛکی پأٹھی۔

ضِمنی :- ۱۔ کُنہِ مُقدِمَس بیترِ مُتلق پُلیسُک سُہ رپورٹ یُس عدالتَس پیش چھُ سپدان۔ کُنہِ مُقدِمَس مُتلق پُلیسُک تحقیقات کٔرِتھ رپورٹ۔ ۲۔ پیٹھہٕ پیٹھہٕ اِطلاع۔ مٔنزی وٗژھمژ (کتھ بیترِ)۔

ضِیافتھ :- (م۔مؤل: ضِیافت >ع: ضِیافۃ)۔ ۱۔ لوٗزی یاتھ۔ سبٹھاہ مزدار کھین۔ ۲۔ سال۔

ضیِق :- (ن۔مؤل: ضیِق >ع: ضیق)۔ دَمہٕ بمأری۔ سو بمأری یتھ اَندر شاہ ٔنس چھےٚ کھسان۔

ضُعاکہٕ :- ۱۔ نیٚگ ، زأوٕل۔ کمزور۔ ۲۔ شاہنامُک اَکھ کردار۔ ایرانُک پرٛانہِ وقتُک اَکھ بوٚڈ بادشاہ۔

ضوٚرۆر، ضرۆر :- (مؤل: ضوٚرۆر >ع: ضرور)۔ یتھ منٛزنہٕ کانٛہہ شکھ آسہِ۔ بیشک۔ یقٕینی۔ لأزِم۔

ضوٚرۆرتھ :- (مؤل: ضوٚرۆرت >ع: ضرورت)۔ ۱۔ حاجتھ۔ وبژھے۔ مِےٚ چھُ چون سخ ضوٚرۆرتھ۔

ضوٚرۆرتھ مَند :- حاجتھ مند۔

ضوٚرۆیاتِ زِندگی :- دوہدِش اِستِمالس منٛز لگہٕ ہارچیز۔

ضوٚرۆری :- (مؤل: ضوٚرۆری >ع: ضروری)۔ لأزمی۔ یقٕین۔ یتھ نہٕ کانٛہہ چارٕ آسہِ۔

ط

ط :- عربیک شُرٲہِم ، فارسیک گنٛوہِم، اُردوٗک زِتوٗہِم تہٕ کأشریک ستوٗہِم اَچھر۔ اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ ۹ مول۔

طَبع آزمأیی :- شار وَنِنٛچ کوٗشِش۔ شار گنٛڈنٕچ یا موزوٗن کرنٕچ کوٗشِش۔

طَبع زاد :- ۱۔ فِطرٕتی۔ ۲۔ سُہ تحریر بیترِ یُس پانہٕ لیٛکھمُت آسہِ تہٕ کُنِیُک نقل یا ترجمہٕ بیترِ آسہِ نہٕ۔

طبعی :- (>عربی: طبعی، طبع کہ)۔ نیچرل۔ قونٛونہٕ قودرتہٕ مُطأبِق۔

طبَق :- (ن۔مؤل: طبق >ع: طبق)۔ ۱۔ اَکھِ قسمُک بوٚڈ کتریوٗ ٹوٗک۔ کتریوٗ تھال یا پلیٹ۔ ۳۔ اَکھ بمأری یمہٕ ستیٚ أندرمَن وَرِم چھُ کھسان۔ ۳۔ پور (مکانُک بیترِ)۔

طبق پیوٚن :- أندرمَن وَرِم کھسنٕچ بمأری لگنۍ۔ طبق بمارِ ہُنٛد شِکار گژھن۔ یہٕ چھُ اَکھ دوٚہو۔

طبق ماز :- اَکھ ضِیافتھ یوسہٕ لُرکانین ہِنٛدِس مازس گوٚس پیٹھ تلتھ تیار چھےٚ یوان کرنہٕ۔ قبرگاہ۔

طبق ناٹہٕ :- وُچھو "طبق ماز"۔

طبق ناٹہٕ کرنہٕ :- کأنٛسہِ ہِنٛدِس جاداس خورد بورد کرُن۔

طبَق نال :- ۱۔ اَکھ خاص قسمُک گول نال (یُس پتہٕ بروٗنٛہہ ہیوٗہ چھُ آسان)۔ ۲۔ (ورگہٕ) سُہ شخص

یُس ژٕ ے ستی چوٗنے یتہٕ مے ستی میوٗلے آسہِ۔
یُس واو وِچھِتھ ناو آسہِ تراوان۔ موقہٕ وِچھِتھ
طورطرٕ زبدلاوَن وول۔ بےٚ اُصوٗل۔

طبق نال پھرُن:- ۱۔ موقہٕ وِچھِتھے طورطرٕ زبدلاوُن۔
۲۔ پٕژی ہانٛژہ بیٚیِس لاگنی۔ ۳۔ ڈامب کرُن۔

طَبل:- ڈول، خاص کرفوٗجی بینڈ۔

طَبلچی:- (ن/م۔ مؤل: طبلچی <ہ <ع: طبلہ + ہ: چی) طَبلہٕ وایَن وول۔ یُس طَبلہٕ آسہِ وایَن تگان۔ طَبلہٕ نواز۔

طَبابَتھ:- (م۔ مؤل: طبابَت <ع: طبابۃ)۔ حِکمَتھ (کرٕنی)۔ یوٗنانی طریقہٕ علاج کرنک فن۔ یوٗنانی ڈاکٹری۔

طبابَتھ کرٕنی:- حِکمَتھ کرٕنی۔ علاج کرُن۔ (ہزلہٕ) ہیٚچھنأوِتھ یا سبق دِتھ تھوٗن۔

طَباشیر:- (م۔ مؤل: طباشیر <ع: طباشیر <ف: تباشیر) بانٛسک مَدر یُس اَکھ دَواچھُ۔

طباعت:- (م۔ مؤل: طباعت <ع: طبع)۔ ۱۔ چھپأے۔ مِ: یَتھ کِتابہٕ چھےٚ شوٗبدار طباعت۔ ۲۔ چھپایہٕ ہُند فن، چھپایہٕ ہنٛز زان۔ ۳۔ چھپایہٕ ہنٛز موٗزوٗری۔

طبق:- (م۔ مؤل: طبق <ع: طبق)۔ بوٚڈ ٹوک۔ کترٕ و تھالی یا پلیٹ۔

طبچہٕ پرٕنہِ:- (ورگہٕ پأٹھی) بدرَد دوٗن۔ دوبہٕ دہ ہو کرٕنی۔

طبچہٕ پیٚنہٕ:- (ورگہٕ پأٹھی) اُڈز اُڈ پیٚنی۔ بوٗأری سپدٕنی۔ ذَلالتھ گژھنی۔

طَبیلہٕ:- (ن۔ مؤل: طبیل <ع: طویلۃ)۔ سوٗ جاے یتہِ گُری تھوان چھِ۔

طبیلچہٕ بلایہٕ پوٚتُر:- اَکِہ ہنٛد بدل بیاکھ لگُن۔ مِ: اُتی یہٕ بلایہٕ تُت۔

طَبقہٕ:- (ن۔ مؤل: طبق <ع: طبقۃ)۔ ۱۔ لرِ ہُند پور۔ ۲۔ لُکن ہُند کانٛہہ دوٗر یا حِصہٕ۔ ۳۔ ہم پیشہٕ۔

طَبلہٕ:- (ن۔ مؤل: طَبل <ع: طبلۃ)۔ ڈولہٕ چالہِ اَکہِ قِسمُک ساز۔

طَبلہٕ نواز:- وِچھِو "طبلچی"

طَرح:- (ن۔ مؤل: طرح <ع: طرح)۔ غزل یا قصیدٕ بیترِ لیکھنہٕ باپتھ رٕدیف قافیہٕ سان مُقرر کرنہٕ آمُت مِصرٕ۔

طَرف:- (ن۔ مؤل: طَرف <ع: طرف)۔ ۱۔ پاس۔ مِ: یَتھ وَرقس چھُ دوٗیِم طرف پِشِھ۔ ۲۔ پژکھ، دوٗر۔ مِ کورِ گژھ مالِ نیٚک طرف ہاوُن لایق آسُن۔ ۳۔ جانِبدأری، لحاظہٕ۔ پاس۔ مِ: سہٕ نے چون طرف کرٕہی مار گیو کھ۔ ۴۔ کُن۔

طَرفدار:- ۱۔ یُس کانٛسہِ ہُند طرف کرِ۔ پاس کرِ۔ لحاظ کرِ۔ ۲۔ حِمایتی۔ جانِبدار۔ ۳۔ بےٚ اِنصاف۔

طَرفدأری (کرٕنی):- رأے کرٕنی۔ کانٛسہِ ہُند پاس یا لحاظہٕ (کرُن)۔ حِمایتھ۔ پوٚکھ رٹُن۔ ہمدردی۔

طَرف کرُن:-رائے کرِنی۔ پاس کرُن، لحاظہٕ کرُن، پۄ کھ رَٹُن۔

طراوَتھ:-(م۔مؤل: طراوَت ح ع:طراوۃ)۔ ا۔اُدر یر۔نمی۔تری۔سرٛیہہ۔۲۔تازٕ گی۔ تازٕ گی پھیرِنی۔

طراوتھ پھیرِنی، گرٛ ھنی:-ا۔سرٛیہہ پھیرُن۔تازٕ گی یِنی۔ٹھنٛڈی پھیرِنی۔۲۔اِفطارٕ وِزِ تریش پھٹنی۔

طرٕز:-(ن۔مؤل: طرز ح ع: طرز)۔ا۔انداز۔طٔریقہٕ۔ چال۔(کتھ کرنٕک،وَنہٕ نٕک یا کینہہ پیش کرنٕک)۔ ۲۔گبونچ بیترِ لے۔۳۔لیکھنٕک اَسلوٗب۔

طرزٕ کڈُن:-گبونہٕ باپتھ گُنہٕ بٲتس لے گنٛڈنی۔

طَرزِ اَدا:-کینہہ کرنٕک یا ہاونٕک طٔریقہٕ۔

طَرزِ بیان:-کینہہ وَنہٕ نٕک یا پیش کرنٕک طٔریقہٕ یا انداز۔کینہہ اَدا کرنٕک اسلوٗب۔

طرزِ تحریر:-لیکھنٕک اَنداز۔

طَرزِ عمل:-کٲم کرنٕک طٔریقہٕ یا انداز۔

طرزِ کلام:-کتھ باتھ کرنٕک طریقہٕ یا انداز۔

طرحی:-کُنہٕ خاص طرحس پٮ۪ٹھ گنٛڈنہٕ آمٕت بٲتھ۔

طَرحی مُشاعِرٕ:-سُہ مُشاعِرٕ یتھ منٛز صِرف تِتھۍ بٲتھ پَرنہٕ یِن یِم کُنہٕ خاص مِصرٕ کس وَزنس تہٕ ردیف قٲفیس ماتحت آسن۔

طرفات:-سورٕے اۄنٛدپۄکھ۔دۄر دۄر علاقہٕ۔اَندرٕ اَندٕ نٮ۪ک وار یاہ علاقہٕ۔

طرفاتَن پھیرُن:-دۄر دۄر تام واتُن۔سبٕتھٕن علاقن ہُند سٲل کرِتھ یُن۔

طرفاتَن گرٛھن:-دۄر دۄر تام ژٕنٛڈ کڈِتھ یُن۔ وار یاہن علاقن واتُن۔

طرفاتَن ہُند:-مختلف علاقن ہُند۔یہ وار یاہو علاقو پٮ۪ٹھ آمٕت آسہِ۔

طَرفہٕ:-ا۔پاسہٕ،م:ۆچھنہٕ طَرفہٕ آواز تیز ہوا۔۲۔کٲنٛسہِ ہِنٛد کنہٕ،بدلہٕ۔م:میٲنہِ طرفہٕ وَنہٕ ۆکیل۔

طَشت، طَش:-(م۔مؤل: طَشت ح ف: طشت) اَتھ بیترٕ پٕتھراونہٕ باپتھ اَکھ خاص قِسمُک بانہٕ۔

طَشتہِ تلاو گرٛھن:-تہٕ ۆپتھ گوموٗلی کتھ زٮ۪چھر لگُن۔ لۆچہٕ ہَنہٕ بڈٕہن گرٛھنی۔لوُٹ واقہٕ بڈٕ مصیبتُک وَجہٕ گَنکھ۔تِمبرٕ اَلاوٕنُن۔

طَلب:-(ن۔مؤل:طَلب ح ع:طَلب)۔ا۔ژھانڈُو۔ تلاش۔۲۔یَژھ،خٲہش۔منٛگ۔۳۔نادٕ دیُن، آلو دِتھ اَنُن اَنُن۔بلاوُن۔۴۔تنخاہ۔رتہٕ پٲٹھۍ مۄزوٗری۔گرٛہہِس فصلہٕ رٔنگۍ اُجرٕ تھ۔

طَلب آسُن:-ا۔خٲہش آسنۍ۔یَژھ آسنۍ۔ ۲۔ژھانڈُو آسُن۔تلاش آسُن۔

طَلب پیوٚن:-مٲل پیوٚن۔ضۆرۆرتھ باسُن۔

طَلب کرُن:-ا۔ژھانڈُن،تلاش کرُن۔۲۔بلاوُن۔

طَلب گار:-یَژھن وول۔خٲہش کرن وول۔ یَس کٮ۪نٛہہ یَژھ آسہِ۔

طلاق:-(ن۔مؤل: طلاق <ع: طلاق)۔موکجار۔ شرع مؤجۆب رِنۍ سُند پننِہ آشنہِ ستۍ تولُق ژٕٹُن۔ ژھینِن۔نِکحکہِ گنڈٕ نشہِ یلہٕ تراوُن۔

طلاق دِیُن:-موکجار دِیُن۔پننہِ زنانہِ ستۍ نکاح ژٕٹُن۔

طلاق نامہٕ:-موکجارُک کاکد۔سُہ تحریر ییمہِ مؤجۆب موکجار دِنہٕ یابہٕ ییہِ۔

طلاق ہیوٗن:-۱۔شرع مؤجۆب زنانہِ ہُنٛد پننِس رِنِس ستۍ نکاح پھُٹراونہٕ وِتھ اَلگ گژھُن۔موکجار ہیوٗن۔۲۔اَتھ چھِ شرع مؤجۆب خُلع تہٕ ونان۔

طلبانہٕ:-(ن۔مؤل: طلبان <ف: طلبانہ)۔سُہ رَقم یُس گوٲہی دِنہٕ باپتھ گوٚہس بیترِ دِنہٕ چھُ یوان۔

طلبی:-ناد۔بُلاو۔پیش سپدنٕچ شیٚچھ (خاص کٔرِتھ عدالتُک ناد)۔

طلبہٕ موٚہنیوٗ (طلبی موٚہنیوٗ):-۱۔نوکریُس تنخاہس پیٹھ آسہِ۔۲۔گرُک کاٗم کار کرُن وول نوکر۔ پرائیویٹ نوکر۔۳۔سُہ نوکریُس سوٗنتہٕ پیٹھ ہرُد تام کانٛسہِ زٕمیندارس نِشہِ نوکری کرتہٕ تنخاہہٕ بدَل بِنیہ بَرِ دِ پھَل پھوٗل۔

طمع:-(ن۔مؤل: طمع <ع: طمع)۔۱۔ خاہش۔ یژھے۔شوق۔۲۔لالِچ۔حرص۔لۄب۔

طمع چھُ تاوَن (طمہس چھُ تاوَن):-تہٕ ژٕپتھ گولالِچ کرنہٕ ستۍ چھُ اَخرس نوقصان گژھان۔ لالِچ کرُنس چھُنہٕ پتولاکن کینٛہہ تہٕ حاصِل۔

طمع دِیُن:-لالِچ دِتھ پھساوُن۔کینٛہہ چیز یاپوٗنسہٕ بیترِ دِتھ یاباُتھ کانٛہہ کاٗم کرنس پیٹھ آمادٕ کرُن۔

طمع کرُن:-لالِچ کرُن۔شوق کرُن۔تمنّا کرُن۔

طمع گژھُن:-شوق گژھُن۔مَنٛس گژھُن۔

طمایہٕ دُنۍ یاہ:-دُنۍ یہٕک لۄب۔دُنۍ یچ لالِچ۔

طمانٛچہٕ:-(ن۔مؤل: طمانٛچ <ف: طپانچہ)۔۱۔ٹاپھ۔ ژٕنٛڈ۔چپاتھ۔تھپھ۔۲۔اکھ جنٛگی ہَتھیار۔

طمانٛچے عزٲبیل:-موتنۍ ژٕنٛڈ۔موٗتُن عذاب یمۍ تھپھ۔

طمٲے:-(<ع: طمع)۔لالِچی۔یَس ژوٗر طمع آسہِ۔

طَنَب:-۱۔ واریاہ زیٛٹھ لٔر۔سولٔریتھ راد بوٚڈ آسہِ۔ ۲۔ہال۔بوٚڈ گٕٹھ۔۳۔موٚٹ رَز۔طَناب۔

طَناب:-(م۔مؤل: طناب <ع: طَنَب)۔موٚٹ رَز۔خاص کٔرِتھ سو رَز یوسہِ خیمہٕ گنڈنس بَہرٕ لَمنٛس یا گیلہٕ گنڈنس لگان چھےٚ۔

طَنابہٕ چارنہِ:-(ورگہٕ پٲٹھی) رَزٕ گز کرُن۔رَزو ستۍ گنڈُن۔

طَنابہٕ کرنہِ:-(ورگہٕ پٲٹھی)۔گنڈٕ کٔرِتھ تھاوُن۔ کُنہٕ پٲٹھی نہٕ ژٕلنہٕ دِیُن۔

طَنز:-(ن۔مؤل: طنز <ع: طنز)۔ہَزل۔وٲکھلہٕ۔ ٹُسنہٕ ٹُسولہٕ۔ہبڈُن۔

طَنز کرُن:-ہَزل کرُن۔وٲکھلہٕ کرٕنۍ۔ٹُسولہٕ کرٕنۍ۔ ٹپھ ژٕٹُن۔

طَنزَن:-(<ع: طنزا) ہَزلہٕ پٲٹھی۔وٲکھلہٕ پٲٹھی۔ ہبڈٕنہٕ گیلنہٕ رٕنٛگی۔

طنطَنہٕ :-(ن۔مؤل: طَنطَن <ع: طنطنۃ) ۔ا۔کرٕفرٕ۔
ٹھَکہٕ ٹھَکہٕ۔شانہٕ شوکتہٕ (سان) دزٕ بزٕ۔۲۔سۄسرٕ
گۄسرٕ۔

طواف:-(ن۔مؤل:طواف <ع:طواف)۔خانہٕ کعبس
أندی أندی سَتھ چکر۔ژاگت۔ پریٛد کھٕن گنہٕ
چیزَس یا کأنسہِ أندی أندی پھیرُن۔

طواف کرُن:-ا۔ أندی أندی پھیرُن۔ژاگت
کرُن۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سَخ یزتھ کرُن۔
(کأنسہِ) الَنہٕ تہٕ ڈلنہٕ یُن۔

طَوالتھ:-(م۔مؤل:طوالت <ف: طوالت)۔زیٛچھر۔
طۄل۔

طَوالتھ دِنۍ:-زیٛچھراوُن۔یتھ یتھ نیٛن۔طۄل دیُن۔

طہارت:-(ن۔مؤل: طہارَت <ع: طہارۃ)۔
ا۔تم سأری چیز پاک تھوٚنۍ یہندِ صاف نہٕ آسنہٕ
رِکنۍ نِماز پیٚہ نہٕ۔۲۔پأکی،وضوٗ۔شرٕ وژ (ہیوٗن)۔
زِیٛچ مَلیٖچ جاے چھلِنۍ۔

طہارَت آسُن:-ا۔ وضوٗ قأیم آسُن۔۲۔ہِمَتھ
آسنۍ۔جُرتھ آسُن۔حوصلہٕ آسُن۔

طَہارت پھُٹُن:-ا۔طہارت گژھ کینہہ تیٖتھ کرُن۔
یمہِ رِکنۍ نِماز پرنہٕ خأطرٕ نۄ سَرٕ وضوٗ کرُن پییہٕ۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ہِمَتھ نہٕ روزٕنۍ۔حوصلہٕ نہٕ
روزُن۔جُرتھ نہٕ روزُن۔۳۔ژھٕٹُن۔

طے:-(مؤل: طے <ع:طی)۔ا۔فأصلہٕ۔مِ: یہ تنازٕ
سپُد طے۔۲۔مُقرر۔مِ:یہ پروگرام سپُد طے۔
۳۔موکلاوُن۔اَنٛدَس واتُن۔مِ:سَفر گَری نِہ
ڈلی ڈلی طے۔۴۔(ورگہٕ پأٹھی) کمال۔حَد۔

طَیس پیٹھ:-ا۔کمالَس پیٹھ،عوٗروٗجس پیٹھ۔
۲۔تیز دورن (گُری سُند)۔۳۔تھکُن لایق۔
شوٗبہٕ دار۔مِ:سال اوس طَیس پیٹھ۔

طے سپدُن:-ا۔فأصلہٕ سپدُن۔اَنٛدُن۔۲۔مقرر
گژھُن۔۳۔کمال سپدُن۔

طَے کرُن:-ا۔فأصلہٕ کرُن۔اَنٛز راوُن۔لڑایہ جگڑَس
بیترٕ فأصلیٖچ وَتھ کڈٕنۍ۔۲۔مقرر کرُن۔مِ: جلسَک
پروگرام چھُ طے کرُن۔۳۔موکلاوُن۔مِ:سوٗرے
سَفر کوٗرمے منٛٹَن منٛز طے۔۴۔(ورگہٕ پأٹھی)
سوچھ کرُن۔مِ:ووٗنۍ کس طے کوٗرُن۔۵۔کمال
کرُن حد کرُن۔

طَے مکان:-روٗحأنی طاقتہٕ رِکنۍ اکہِ جایہِ پیٹھ بیٛیس
جایہِ بلا کُنہِ طبعی وٗسیلہٕ واتُن۔

طاس یا تاس:-(ن۔مؤل: طاس <ع:طاس <ف:
تاس)۔موٹہٕ کاکدٕ کۍ تم دُوٗنزاہ پٔڑ یم (پان،
اینٹ،حُکم تہٕ چیٖری) ژون رنٛگن ہٕندی آسان
چھِ،پرتھ رنٛگکۍ چھِ ترٛواہ پٔڑ آسان تہٕ پرتھ
رنٛگس چھِ وَہَن پٹھن تام سیوٗدگنٛزنہٕ تہٕ ترمہِ
ہیوٗ رنٛگن شکلہٕ۔کاھسہِ بدل غولام،باہہِ بدل
بیگم تہٕ ترٛواہمہِ بدل بادشاہ،گوڑنکس یکس چھِ

یکہٕ وَنان۔ اَتھ سِلسِلس منٛز باقی لفظ وِچھو "تاس۲" لفظس تل۔

طاس۲۔ طاسہٕ:- (ن۔ مؤل: طاس <ع: طاس)۔ ا۔ اَکھ کتریُو بانہٕ یُس پھمب بیتر تھوٗنس لگان چھُ۔ م: لٗدِتھ طاسس پٔیِم توٗسس اُتھرے۔ ۲۔ ڈُم ڈُم۔

طاس نواز:- اکہِ قسمٕک۔ ڈُم ڈُم وایَن وول۔
م: طاس نوازتہٕ موکھتہٕ پارسنگ
خانہٕ دار ورژھو آیی زنگ

طاق:- (ن۔ مؤل: طاق <ع: طاق)۔ ا۔ دارِ باپتھ لبہِ منٛز ژٕھٹھ جاے۔ ۲۔ دارِ ہُند چوکھاٹہٕ۔ ۳۔ سُہ عدد یتھ نہٕ جورِ بنِن۔ م: جُفت۔ ۴۔ سُہ یُس نہٕ جورِ نیر۔ کمالک ماہر۔

طاقس پیٹھ تھوٗن۔ مُشراوُن:- مَنساوُن۔ نظر انداز کرُن۔ بالاے طاق تھوٗن۔

طاق سپدُن، طاق گژھُن:- کٔنٛہ مٲہر بنُن۔ کُنہ کامہِ کارِچ پٔرزان گژھنۍ۔

طاقتھ:- (ن۔ مؤل: طاقت <ع: طاقۃ)۔ ا۔ زور، زُو۔ بل۔ ہکتھ، توژھ۔ ۲۔ ہمتھ، جُرتھ۔ ۳۔ زوٗزبتہٕ۔ ۴۔ اِقتدار۔ حکوٗمتھ۔ یختیار۔

طاقتھ آسُن:- ہکتھ آسٕنۍ۔ زور آسٕنۍ۔ ہمتھ آسٕنۍ۔ جُرتھ، صبر، تاب آسُن۔

طاقتھ کرُن:- زُوس منٛز یُن۔ زُو کرُن کمزوٗری نہٕ روزٕنۍ۔ بمارِ پتہٕ قووَتھ کرُن۔

طاقتھ وَر:- ا۔ زوٗزبتہٕ وول۔ یُس جان زور آسُن۔ یُس زُوس منٛز آسہِ۔ ۲۔ یختیارِ وول۔

طاقچ۔ طاقھچ:- (ن۔ مؤل: طاقچ <ف: طاقچہ <ع: طاق + ف: چہ)۔ لبہِ منٛز چیز بیتر تھوٗنہٕ باپتھ بنٲومٕژ جاے۔

طاقچن کھسُن:- اَلمَن کھسُن۔ دمبالی کرٕنۍ۔ ووٹھ ٹلنہٕ۔

طاقتی:- تہٕ یمہٕ سٟتۍ زوٗ ہیٚوٚ ہ پھیرِ۔ ہکتھ ہش ییہ۔

طاقتی دوا:- سُہ دوا یُس زُوس پوچھر دِنہٕ موکھ کھبنہٕ ییہ۔ ٹانک۔

طالع (طالے):- (ن۔ مؤل: طالع <ع: طالع)۔ ا۔ لون، قسمتھ۔ نصیبہٕ۔ بخت۔ ۲۔ بجر۔ رُت نصیبہٕ۔ باگوٗنۍ۔

طالع آسُن:- جان قسمتھ آسُن۔ رُت نصیبہٕ آسُن۔

طالع پھیرُن:- رٕتی دوہ ینٛۍ۔ قسمتھ پھیرُن۔

طالع وَر:- قسمتھ وول۔ یُس تقدیر جان آسہِ۔ بختہٕ بوڈ۔

طانہٕ:- (ن۔ مؤل: خان <ع: طعنۃ)۔ پام۔ ٹسنہٕ، ہبدُن گیلُن، کتھ (دِنہٕ)۔

طانہٕ دِنۍ:- پامہٕ دِنہٕ، ٹسنہٕ ژٕٹنۍ، کتھ دِنہٕ۔

طاوٗس:- (ن۔ مؤل: طاوٗس <ع: طاوس)۔ ا۔ مور۔ ۲۔ مورِ شکلہِ اکہِ ایرأنی سازُک ناو۔

طاہا۔ طٰہٰ:- ا۔ قرآنِ مجیدکہِ اکہِ سورُک ناو۔ ۲۔ آنحضرت صلعم سُند اَکھ لقب۔

طٔبیٖب :-(ن۔مؤل: طٔبیٖب <ع:طبیب)۔حٔکیٖم۔
یۆنٲنۍ طریقہٕ علاج کرن وول، یۆنٲنی ڈاکٹر۔

طٔبیٖ حَتَن، طٔبیٖ یتن :- فِترَتَن۔طٔبیٖ حَتہٕ کنۍ، مزاژِ مۆجوٗب۔
یۆ تام مزاژ ک تولُق چھُ۔ پزٕ گرٕ ژٕ کنۍ۔

طٔبیٖ حَتھ، طٔبیٖ یَتھ :-(ن۔مؤل: طٔبیٖ حَت: طٔبیٖ یَت <ع
:طبیعۃ)۔مزاژ۔مزاژِ چ خاصِیَتھ۔پزٕ کرِتھ۔

طٔپِش :-(م۔مؤل: طٔپِش <ف: طٔپِش)۔١۔دۆدسہٕ۔
ترٛیشہِ سٟتۍ زبو پھٹنٛچ حالتھ۔٢۔سو بےٚ قرٲری یا
بےٚ آرٲمی یوسہٕ زیادٕ گرمی سَببہٕ آسہٕ۔

طٔریق :-١۔وَتھ۔٢۔رَسم۔رِواج۔٣۔رٕہتھ۔قٲیدٕ۔

طٔریق عمل :-وبد۔کامہِ اَند بۆر دِنٕچ وَتھ کٲم
کرنٕک طٔریقہٕ۔

طٔریقت :-(ن۔مؤل: طٔریقت <ع: طریقۃ)۔
سۆلۍ کِچ وَتھ۔ دَرویشی ہِند بن مٔنزلن ہُند
اَکھ مُقام۔

طٔریقہٕ :-(ن۔مؤل: طٔریق <ع: طریقۃ) اَنداز۔
طرز۔روش۔ترٛاے۔چال۔ٹب۔رٔوی یہٕ۔

طٔریقہٕ سان :-حِسابہٕ حِسابہٕ۔ سۆنٛچِتھ سمجِتھ۔
وِچھِتھ دٲچھِتھ۔بوزٕ شوژٕ سان۔

طٔریقہٕ طٔریقہٕ :-وِچھِ وِچھ۔حسابہٕ سان۔سۆنٛچِتھ سمجِتھ۔

طٔویل :-(مؤل: طٔویل <ع: طویل)۔١۔زیوٗٹھ۔
٢۔شاعری منٛز اَکہٕ بحرُک ناو۔م: بحرِ طٔویل۔

طٲری :-کُنہِ حالژ ہُند وَلنہٕ یُن۔ کانٛہہ حالتھ بیترِ
سأری پیٹھ غالب سپدٕنۍ۔غالب۔حاوی۔

طٲش (طیش) :-(ن۔مؤل: طٲش <ع: طیش)۔
ژوٗ۔پھوشنۍ۔ژکھ۔غوصہٕ۔شرارتھ۔اِشتِیال۔

طٲشَس لاینہٕ یُن :-اِشتِیال کھیوٚن۔ژوٗ ہٕنۍ۔
شرارتھ کھسُن۔

طٲش اَنُن، طٲش دیُن :-تٔلُن (کانٛہہ کُنہِ کامہِ
بیترِ خاطرٕ، آمادٕ کرُن۔ووتلاوُن۔پھوشراوٕنۍ۔
ژکھ کھارٕنۍ (کانٛسہِ)۔

طٲش کھسُن :-ژکھ کھسٕنۍ۔شرارتھ کھسُن۔

طٲش کھیوٚن :-ژوٗ ہٕنۍ۔شرارتَس لاینہٕ یُن۔پھوشنۍ۔
ژکھ کھسٕنۍ۔اِشتِیال کھیوٚن۔

طٲلِب :-(مؤل: طٲلِب <ع: طالب)۔١۔یژھُن
وول۔ژھانڈُن وول۔یَس کیٛنٛہہ خٲہش آسہٕ۔
٢۔کانٛسہِ پیرٕ سُند خاص مُرید۔٣۔صوٗفیَن ہُند
اَکھ درجہ۔٤۔کٲشرِ زبٲنۍ ہِندِ پرٛوفیشنسی ہُند
اِمتحانٕک اِصطِلٲحی رَسمی ناو۔

طٲلبِہ عِلم :-یَس عِلم حاصِل کرنٕچ یژھ آسہٕ۔تہٕ
ڈٕیتھ گو پرٛوٚن لیکھہٕ وٕن لٔڑکہٕ۔سکوٗل کالیج
بیترِ گژھوٚن لٔڑکہٕ۔ژاٹھ۔

طٲیفہٕ :-(ن۔مؤل: طٲیفہٕ <ع: طایفہ)۔١۔جماتھ۔
فِرقہٕ۔ٹوٗکھ۔٢۔وَنٛڈٕ۔ہم ہمیشہِ لۆکھ۔

طٲیفہٕ دَر :-کٲرِگر (چھان، کھار بیترِ)۔مُنہٕ دار۔

طِب :-(مؤل: طِب <ع: طِب)۔حِکمَتھ۔یۆنٲنۍ

علاجُک عِلم۔

طِبّی:-(مؤل: طِبّی <ع: طبی)۔ یَتھ طِبس سٟتی تولُق آسہِ۔ طِبّک۔ م: طِبّی کالیج۔

طِفلہٕ:-(مؤل: طِفل <ع: طِفل)۔ بچہٕ، شُر۔ (ورگہٕ) بیقِل۔ ا‌وپ۔

طِفلہٕ گی:-شُری سُند ہیٚو ٕ‌طیٚر۔ شُری گی۔ بیقلأزی۔

طِلأے:-سونٕہری۔ سونہٕ سُند۔ سونہٕ رَنگہٕ۔

طِلِسم:-(ن۔ مؤل: طِلِسم <ع: طِلسم) مأنٛتھرِ یا جادٕ بیترِ سٟتی پأدٕ کرنہٕ آمت کانٛہہ چیز یا منظر بیترِ۔ ۲۔ ژھل، جود، مأنٛتھر۔ ۳۔ عوٚجوٗبہٕ۔

طِلِسمات:-۱۔ سُہ چیز یَتھ کُن وِچھتھ رأوی ز۔ عوٚجوٗبہٕ۔ ۲۔ دیومالأیی دُنیا۔

طِلہٕ (تِلہٕ):-(ن۔ مؤل: طِل <ف: طِلا)۔ اَکھ قسمُک سونہٕری پَن یُس مولُل آسان چھُ۔ سونہٕری کلابوتہٕ یُس نالِس، دامنَس چھاونہٕ یوان چھُ۔

طِلہٕ پأزار:-سُہ خاص قسمُک کھوربانہٕ یَتھ تِلہٕ چھأوِتھ آسہِ۔

طِلہٕ چھاوُن:-کُنہِ پلوٚس بیترِ تِلہٕ لاگُن۔ ٹوپہٕ کڈنہٕ۔

طِلہٕ دوٗز:-تِلہٕ چھاون وول۔ چکن دوز۔

طُعام:-(ن۔ مؤل: طُعام <ع: طعام)۔ غذا۔ کھین خوردنی۔

طغرا:-(ع: طغرة)۔ اکھ خاص خط۔ خاص قسمُک لیکھنُک طٔریقہٕ۔

طُغیأنی:-(م۔ مؤل: طُغیأنی <ف: طُغیانی <ع: طُغیان)۔ سٕہلاب۔ ڈٔری یا وَس بیترِ یُپ کھسُن۔

طُمطراق:-(ن۔ مؤل: طُمطراق <ف: طُمطراق)۔ ٹھکہٕ ٹھکھ۔ کرٕفر۔ شانہٕ شوکت۔ دٕز۔ بٔزٕ۔

طوٗر:-(ن۔ مؤل: طوٗر <ع: طور)۔ کوہِ طوٗر۔ صٔحرائے سیناہَس منٛز سُہ بال یَتھ پیٹھ حضرتِ موٗسیٰ ہَس خوداتعالٰہن پنُن جلوٕ ہوو۔

طوٗفان:-(ن۔ مؤل: طوٗفان <ع: طوفان)۔ ۱۔ سُہ تیز واو یمہِ سٟتی گردِ غُبار ووتھِ تہٕ گلی کُٹہٕ بیترِ پھٕن یا اَنہِ گوٚٹ ہیٚوٗ گژھِ۔ سَخ واو۔ ۲۔ قہر۔ غضب۔ آفت۔ ۳۔ فساد، بلوٕ، ہنٛگامہٕ۔ تمہِ ساتہٕ یوان وَننہٕ ییلہِ کینٛہہ شُری پیٹھی گژھِ یا کُنٛج ہوٚتان آسہِ۔

طوٗفانس لگُن:-(ورگہٕ پأٹھی) کُنہِ مُشکلس منٛز ہینہٕ یُن۔ تکلیف تُلُن پیوٚن۔ مصیبتس منٛز پھسُن۔ سٕکٕلس لگُن۔

طوٗفانِ نوٗح:-۱۔ سُہ سٕہلاب یُس حضرتِ نوٗح سٕندِ وقتہٕ آو۔ یہ سٕہلاب کھوٚت ژتجہن دوہن راتَس تہٕ دوہس اژھنن روٗد پیٚنہٕ سٟتی۔ اَمہِ طوٗفانہٕ منٛز بٔچیہٕ حضرتِ نوٗحس علاوٕ دُسٕتتھ نفر۔ ۲۔ (ورگہٕ) سَخ سٕہلاب۔

طوٗفان تُلُن:-سَخ فِتنہٕ تُلُن، فساد تُلُن۔ ہنٛگامہٕ کرُن، شور تُلُن۔ تیٚتھ کینٛہہ کرُن یمہِ سٟتی نار ہیٚوٗ لگہِ۔

طوٗفان یُن:-۱۔ سٕہلاب یُن۔ سَخ واد کرُن۔

۲۔(ورگہٕ پاُٹھی) مُصیبتھ یِنہٕ تکلیف واتُن۔

طۆل:-(ن۔مؤل:طۆل<ع:طول)۔طوالتھ۔زیچھر۔

طۆل دِیُن:-زیچھر دِیُن۔طوالتھ دِنۍ (کتھِ بیترِ)

طۆل رٹُن:-زیٹھُن۔زیچھر لٔبُن۔

طۆلِ بَلَد:-سُہ خیالی خط یُس قطب شمالی پٮ۪ٹھٕ قُطبِ جنوٗبی تام تصوٗر کرنہٕ یِوان چھُ۔

طۆنبۆر:-(ن۔مؤل: طۆنبۆر <ع: طنبور)۔اکہِ قسمُک ساز۔

طۆنبۆری:-طۆنبۆرِ وایَن وول۔یُس طۆنبۆرِ وایِنَس منٛز ماہِر آسہِ۔

طورطریقہٕ:-(ن۔مؤل: طور طریق <ع: طور + طریقة) وَرتاو۔رٕوِیہ۔چال چلن۔رٕوِش۔

م: نوشہِ کورِ گٔژھہِ پٔنُن طورطریقہٕ ٹھیکھ روزُن۔

طوطہٕ:-(ن۔مؤل: طوطہ <ف: طوطا)۔ا۔ووڑُج تۄتھ گُرتھ سبز رَنگُہ اکھ جاناوار۔۲۔(ورگہٕ سُہ یُس بتھی پیٔوٚتا آسہِ۔۳۔باشہِ کرٕوُن شُر۔

طوطہٕ چشم:-بےٚ وفا۔بےٚ مُروَتھ۔یُس نہٕ یاداوٗری روزِ۔یُس دۄیمی سُند احسان مشراوِ۔

طوطہٕ کٔلُن:-کتھِ پھپھبر گژھن۔کتھ نہٕ پھورِنۍ۔زِو کٔلِنۍ۔یُس پھر پھر کرِتھ بولان آسہِ تسُند منٛز پھٹُن۔

طوق:-(ن۔مؤل:طوق <ع:طوق)۔پٔنہٕ۔کوٚر۔نالُک یار۔ہانٛزرِ۔(ورگہٕ پاُٹھی) غولامی ہُند نشانہٕ۔

طوقِ دُنیا:-(<ع: طوق + دُنیا)۔دُنۍ یہکبن کھر بن تہٕ دُنیا ہِنز ہُند ہانٛزرِ۔

طوقِ لانتھ:-لانتک ہانٛزرِ۔مَردُو آسُنچ مُسلسل حالتھ۔شرمندٕگی نالِکی گژھنۍ۔

طووٗنہٕ:-(ن۔مؤل: طووٗن <ع: طاعون) اکھ خطرناکھ لاگ دار بیمٲری۔

طووٗنہٕ زَد:-سُہ یُس طووٗنہٕ بیمار ہُند حملہٕ آسہِ گومُت۔طووٗنہٕ بیمارِ آوُرمُت۔یہ چھُ دۄہو۔

طووٗنہٕ لَد:-وُچھو "طووٗنہٕ زَد"۔

طووٗنہٕ ووتھُن:-طووٗنچ بیمٲری تیز گژھنۍ یا پھٔہلنۍ۔

طووٗنہٕ یُن:-طووٗنہٕ بیمٲری لگنۍ۔طووٗنہٕ بیمارِ ہُند شِکار گژھن۔(یہ چھُ دۄہو تہٕ)۔

طورِ:-(ن۔مؤل: طور <ع: طرة)۔دَستارُک تھۆد تھووُمت پۆژھ۔دَستارُک سُہ پۆژھ یُس دَستارِ نبر تالہِ پٮ۪ٹھ نۄن چھُ آسان۔پھونگ۔

طورِ کرُن:-(ہزلہٕ پاُٹھی) کمال کرُن۔

طیہران (طہران):-ایرانچ راز دٲنۍ۔

## ظ

ظ:-عربیک سداُہیم، فارسیک وُہیم، اُردو ہک ترٛ وُہیم تہٕ کاشریک اَٹھووُہیم اَچھر۔اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ نوٚشتھ مول۔

ظرافت:-(م۔مؤل: ظرافت <ع: ظرافة)۔مَسخری۔اَسُن گِندُن۔اَسُن ترٛاے ٹھٹھِ بٲزی۔مذاق۔

ظَرِیف :-(موٗل: ظَرِیف <ع: ظریف)۔ ٹھٹھہِ باز۔ مَسخرٕ۔ مخولی۔ تتھِ پأٹھۍ کلامہٕ کرن وول یِیمہٕ ستۍ اَسُن یِیہ۔

ظألِم :-(موٗل: ظأٖلِم <ع: ظالم)۔ ۱۔ ظُلم کرن وول۔ جأبِر۔ یُس نہٕ آر اِنصاف آسہٕ۔ بےٚ اِنصاف۔ سِتم گر۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) تہٕ یِیمہٕ ستۍ نوٗقص سپدِ، یِیمہٕ ستۍ خرأبی گژھِ۔ م: شرابہٕ تہٕ سِگریٹھ چھِ سخ ظأٖلِم۔ ۳۔ شأیری منٛز ماشوٗقس تہٕ وَنان۔

ظأٖلِمہِ اظلم :- سخ ظأٖلِم۔ یُس حدٕ گژھتھ ظُلم کرِ۔ جأبِر۔

ظأہِر :-(موٗل: ظأہِر <ع: ظاہر)۔ ۱۔ نوٚن۔ پرٛزٕ کھٹ۔ یہٕ نہٕ کھٹِتھ آسہٕ۔ ۲۔ دِوٕ۔ شاید لبنہٕ تلہٕ۔ ممکن چھُ۔ م: ظأہِر یِیہِ سُہ۔

ظأہِر آسُن :- نوٚن آسُن۔ یتھ نہٕ ژوٗرۍ تٕہ ضروٗرتھ آسہٕ۔

ظأہِر باطِن وَنُن :- ۱۔ بدٕلے کتھ وَننہٕ۔ اورٕک یورٕ وَنُن۔ ۲۔ غأرٕچ شِیچھ وَنٕنۍ۔

ظأہِر دار :- یُس نیریم ہاو باوٕ یوت کران آسہٕ۔ اَپزٕے دُنۍ یا دأری وَرتاون وول۔

ظأہِر دأری :- ۱۔ سفید پوٗشی۔ ۲۔ ہاو باو۔ ہاو باوچہِ کتھ بیترٕ۔ اَپزٕ دُنۍ یا دأری۔

ظأہِر سپدُن :- نٔنُن، بروٚنٛہہ کُن یِن کھٹِتھ نہٕ روزُن۔ پرٛزٕ کھٹُن۔

ظأہِر کرُن :- ۱۔ وَنُن۔ بیان کرُن۔ دٕپُن۔ ۲۔ نٛبراوُن۔ پرٛزٕ کھٹاوُن۔ ۳۔ بأوِتھ دِیُن۔ نِشاندٕہی کرٕنۍ۔

ظأہِری :-(موٗل: ظأہِری <ع: ظاہر) پیٚٹھۍ پیٚٹھۍ یہ ٹاکارٕ آسِتھ بوزنہٕ یِیہ۔ وُچھنہٕ تٕلہٕ۔

ظِلِ اِلأہی :-(<ف: ظِلِ اِلأہی)۔ ساےٚ خودا۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) بادشاہ۔ سبٕٹھاہ تہٕ اِکترامہٕ سان بادشاہس وَنان۔

ظِلِ سُبحأنی :- دَیہ سُند سایہ، تہٕ دٕپِتھ گوراز، بادشاہ۔

ظُلُم :-(ن۔ موٗل: ظُلم <ع: ظُلم)۔ جبر۔ سِتم۔ بےٚ اِنصأفی۔ زَبردٔستی۔

ظُلُم سپدُن :- سِتم سپدُن۔ اَنیاے سپدُن۔ جبر سپدُن۔ زَبردٔستی سپدٕنۍ۔ نااِنصأفی گژھنۍ۔

ظُلُم کرُن :- بےٚ اِنصأفی کرٕنۍ۔ زبردٔستی تہٕ جبر ورتان۔

ظُلُم گژھُن :- سختی گژھنۍ۔ نااِنصأفی سپدٕنۍ۔ کینٛہہ تہٕ کرُن پیوٚن یہ کرنُس دِلس یژھان آسہٕ نہٕ۔

ظُلُم گار :- ظأٖلِم۔ ظُلم کرُن وول۔ دوٚیمبن پیٚٹھ سختی کرُن وول۔

ظُلمہٕ سِتم :- سخ تکلیف۔ پرٛزنہٕ پیٚٹھۍ سختی۔

ظُلمت :-(م۔ موٗل: ظُلمت <ع: ظلمۃ)۔ اَنہِ گوٚٹ۔ تأریکی۔

ظُلماتھ :- ۱۔ بحیرےٚ اَسود۔ ۲۔ سُہ سَمنٛدر یتھ اندر سُلطان سکندرٕ آبِ حیاتھ ژھانٛڈنہٕ گیوو۔ ۳۔ اَنہِ گوٚٹ۔

ظُلمن :- زوٗرٕ۔ جبرن۔ مجبوٗرن۔

ظُلمی :- ظأٖلِم۔ بےٚ اِنصاف۔ جأبِر۔ بے عار۔

ظوٗہوٗر :-(ن۔ موٗل: ظوٗہوٗر <ع: ظہور)+ جلوٕ۔

دیدار۔ درشن۔ ۲۔ نوٗن۔ پزٕ وکھٹ۔

ظوٗہوٗر ہاوُن:۔ جلوٕ ہاوُن۔ دیدار ہاوُن۔ درشن دیُن۔

ظوٗن:۔ (ن۔ مؤل: ظون ح ع: ظن)۔ (کُنٛہِ یا کُنہِ کُن) حِس، گُمان، ژیٖنہٕ وَن۔ مِ: مےٚ گونہٕ اوٚس ظوٗنے۔

ظوٗنَس پیوٚن:۔ اصل کتھِ واتُن۔ وَقتس پتھ خیال ییُن۔ وَقتہٕ وِزِ ژیٖنُن۔

ظوٗنہِ بَد:۔ ناکار یا اُلٹہٕ خیال۔ غلط رائے (کأنسہِ مُتلق) بدگُمأنی۔

ظوٗن پیوٚن:۔ حِس پیوٚن۔ خیال ییُن۔ ژٕہَس پیوٚن۔ کُنہِ کُن توجُہ گژھُن۔

ظوٗن پھِرُن:۔ ژیٖنہٕ وَن دِنۍ۔ ژٕہَس پاوُن۔ یاد پاوُن۔

ظوٗن گژھُن:۔ ژیٖنُن۔ حِس پیوٚن۔ خیال ییُن۔ کُنہِ کُن گژھُن۔ کُنہِ کُن ہاوُن۔

## ع

ع:۔ عربیک اَردأہُم، فارسیک اکوٗہُم، اُردوٗ ہنٛک ژوٗدأہُم تہٕ کأشریک کُنٛزہُم اَچھر۔ اَمیُک تلفظ چھُ "عأن" تہٕ اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ ۷۰ مول۔

عَبَث:۔ (مؤل: عَبث ح ع: عَبث)۔ بےٚ مانے۔ ٹٔلی۔ نِکھس۔ بےٚ فأیِد۔ یتھ نہٕ کینٛہہ نیر۔ ییمہِ تلہٕ نہٕ کینٛہہ نیرِ۔

عَبادَتھ، یَبادَتھ:۔ (م۔ مؤل: عبادت ح ع: عبادة)

ا۔ خودایہ سٕنٛز بندگی، پرستش، پوٗزا۔ ۲۔ خدمتھ۔ سیوا۔ مِ: بُومرِ ہنٛز عبادتھ گیہ کولہٕ۔

عَبادَتھ خانہٕ:۔ سو جاے ییٚتہِ پَروَردگارٕ سٕنٛز عبادتھ کرنہٕ ییہِ، پرستش کرنہٕ ییہِ۔ مَندر، مشیٖد بیترِ۔

عبادَتھ کرٕنۍ:۔ ا۔ خودایہ سٕنٛز بندگی کرٕنۍ، پرستش کرٕنۍ، پوٗزا کرٕنۍ، ذِکر خودا کرُن۔ ۲۔ (کأنسہِ بُزرگہٕ سٕنٛز) خدمتھ کرٕنۍ، سیوا کرٕنۍ۔

عَبادَتھ گاہ:۔ سو جاے ییٚتہِ خودایہ سٕنٛز عبادتھ کرنہٕ ییہِ یا کرنہٕ یوان آسہِ، پوٗزا، پرستش کرنہٕ آسہِ یوان۔ مَندر، مشیٖد گرجہ بیترِ۔

عبادَتھ گُذار:۔ خودایہ سٕنٛز عبادتھ کرَن وول۔ پرستش کرَن وول، پوٗزا پاٹھ کرَن وول۔

عبارَتھ:۔ (م۔ مؤل: عبارت ح ع: عبارة) کینٛہہ یہ لیکھتھ آسہِ۔

عباس:۔ (ن۔ مؤل: عباس ح ع: عباس) حضرتِ علی سٕنٛدی فرزَندیم حضرتِ امام حسینؑ سٕتۍ کربلا کِس مأدانس منٛز عوشوٗرٕ کہٕ دۄہہ تریشہِ ہٕتۍ شہید سپدۍ۔ حسینیٚ لشکرِ ہنٛز علَم اُس ییمنے اَتھِ۔ توَے چھِ ییمن، عباسِ علمدار تہٕ ونان۔

عباسِ علمدار:۔ وُچھِو "عباس"۔

عبائسی:۔ (ن۔ مؤل: عبائسی ح ف: عباسی)۔ اکھ پوشاک ناو۔ یہ چھُ رنگہٕ کٕنۍ گوٗٹ ووزُل آسان۔ وُچھِو "لٲبٲسی" تہٕ۔

عبوس:-(ن۔مؤل:عباس<ف:عباس)۔ ا۔عَبأسی پوش۔۲۔عبأسی رَنگہٕ پھکھ بیترِ۔

عبداللہ:-(ن۔مؤل:عبداللہ<ع:عبداللہ)۔خودایہ سُند بنٛدٕ۔

عَجب:-(ن۔مؤل: عجب<ع:عجب)۔ا۔عُجیب۔بدلے۔ ۲۔جان،ہُرت۔

عَجب ذاتھ:-بدلے اِنسانا،عجیب موٗہنیوٗ۔

عَجب روٗد:-مقبوٗل صاٗبنہٕ گُلریزٕ ہُند اَکھ زَنانہٕ کردار۔

عجب ملک:-گُلریزٕ۔مثنوی ہُند اَکھ مشہوٗر کردار۔یہ چھُ اَمہِ مثنوی ہُند ہیرو۔ یہ مثنوی چھےٚ مقبوٗل شاہ کرٛالہ واٗری لیچھ مٕژ۔

عَجم:-(ن۔مؤل:عجم<ع:عجم)۔ا۔عربہٕ وراٗے باقے سورے دُنیا۔۲۔سُہ یُس نہٕ عربَن ہِندی کنٛی شاٗیستہٕ ماننہٕ یوان اوس۔

عجاٗیب:-(<ع:عجائب)۔ا۔نوٚوٕ،یہ نہٕ وُچھمتے آسہٕ۔۲۔رُت۔جان۔

عَجاٗیب خانہٕ:-سو جاے یتہِ عوٗجوٗبہٕ آسَن،عجاٗیب گر۔یتہِ عجاٗیبات آسَن۔میوٗزِیَم۔

عجاٗیب گرٕ:-وُچھو"عجاٗیب خانہٕ"۔

عَجاٗیباتھ:-(ن۔مؤل:عجاٗیبات<ع:عجاٗیبات)۔ عوٗجوٗبہٕ،گُنہٕ نہٕ بنٛوٗن۔عُجیب چیز بیترِ۔

عجمی:-(<ع:عجمی)۔ا۔یُس نہٕ عربُک آسہٕ۔عربی چھہٕ پانٕس وراٗے باقی لوٗکن"عجمی"وَنان۔۲۔یُس نہٕ پنٛن مافی الضمیر ٹھیکھ پاٗٹھی ادا کرِتھ ہیکہٕ۔ اڈکوٗل۔

عَدَد:-(ن۔مؤل: عدد<ع: عدد)۔ا۔گرٛنٛد۔گرٛنٛزٕ ہُند کانٛہہ لیکھتھ نِشانہٕ۔۲۔رَقَم۔دانہٕ۔

عَدَم:-(ن۔مؤل: عدم<ع: عَدَم)۔ا۔نہٕ آسُن۔ ۲۔توٗرُک عالَم،پرلوٗک۔زِنہٕ برٛوٗنٛٹھُیم عالَم۔

عَدمہِ اعتماد:-پٔژھ یا بُروسہٕ نہٕ آسُن

عَمہِ پاٗروی:-(مُقدمَس بیترِ)پاٗروی نہٕ کرٕنۍ۔

عدمہِ تاٗمیل:-تاٗمیلہٕ رٕوس آسُن،تاٗمیل نہٕ کرُن،تاٗمیل نہٕ سپدُن۔

عَدَن:-(ن۔مؤل:عدن<ع:عدن)۔یَمنہٕ کہِ اَکہِ مشہوٗر شہرُک ناو۔

عدالَتھ:-(م۔مؤل:عدالَت<ع:عدالۃ)۔ا۔کچھہِری،کورٹ۔کچھہِری ہنٛز جاے یا مکانہٕ۔سو جاے یتہِ کچھہِری لگان آسہٕ۔۲۔پروٗژھ گاٗر۔م:وات گرٕ، عدالَتھ کرنےٚ تُتھ۔۳۔دَل وانژل۔

عدالتھ کرٕنۍ:-ا۔انصاف کرُن،دون دَربَن ہُند نِیاے اِنصافہٕ موجوٗب اَنٛزراوُن۔ اِنصافہٕ موٗجوٗب گُنہٕ نِیاٗیس فاٗصلہٕ کرُن۔۲۔پرٛژھ گاٗر کرٕنۍ۔تفتیش کرُن۔۳۔دَل وانژل لاگُن۔

عدالَتھ لاگٕنۍ:-پرٛژھ گاٗر کرٕنۍ۔تفتیش لاگُن۔

عدالَتھ وان:-کچھہِری۔سوجاے یتہِ نِیاے اَنٛزراونہٕ ین۔

عَدالَتھ وانَن لگُن:-ا۔مُقدمَس منٛز وَننہٕ یُن۔

مُقدِمہٕ وانُن لگُن ۔۲۔ عدالتَس ستؠ کام لگٕنؠ۔

عَدالتِ أپیل:۔ سو عدالتھ یتھ منز ماتحت عدالتٕکس فأصلس خلاف أپیل یا نظرِ ثأنی ہُند درخاس کرنہٕ ییہِ۔

عدالتِ خُفیفہٕ:۔ سو عدالتھ یتھ منز دیوأنی تہٕ فوجدأری ہِنٛد ہن لوکٹٮ۪ن لوکٹٮ۪ن مُقدِمَن ہُنٛد فأصلہٕ آسہِ سپدان۔

عدالت دیوأنی:۔ سو عدالتھ یوسہٕ لوکٹٮ۪ن بڑٮ۪ن مألی (مألس جادادس متلق) مُقدِمَن ہُنٛد فأصلہٕ آسہِ کران۔

عدالتِ سیشَن:۔ ہاے کورٹَس ؤستھ عدالتھ یوسہٕ بڑٕی بڑٕی تہٕ سنگین فوجدأری مقدمہٕ بوزان آسہِ تہٕ تِمن متلق فأصلہٕ آسہِ دِوان۔

عدالتِ ضِلہٕ (ضلع):۔ ضِلٕچ بڑ عدالتھ۔ ضِلہٕ کِس حأکمہٕ سنٛز عدالتھ، ڈِپٹی کمِشنر سنٛز عدالتھ۔

عدالتِ عألیہ:۔ سُپریم کورٹہٕ ؤستھ عدالتھ، صوٗبَن ہنٛز سارِوٕے کھوتہٕ بڑ عدالتھ۔ ہاے کورٹ۔

عدالتِ فوجدأری:۔ سو عدالتھ یوسہٕ جُرمَن ہُنٛد نٮ۪اے آسہِ أنٛزراوان تہٕ مُجرِمَن سزا آسہِ دِوان۔

عدالتِ مجاز:۔ بااختیار عدالتھ، سو عدالتھ یتھ (کانٛہہ) مُقدِمہٕ بوزنُک پوٗرٕ پوٗر اختیار آسہِ۔

عدالتِ مال:۔ محکمے مالہٕ کِس حأکمہٕ سنٛز عدالتھ یتھ منز مال گذأری تہٕ باقی مُقدمہٕ پیش سپدان چھِ۔ تحصیلدارٕ سنٛز عدالتھ۔

عدالتی:۔ عدالتُک۔ یتھ عدالتَس ستؠ واٹھ آسہِ۔

عدالتی کاروأیی:۔ ۱۔ سو کام یوسہٕ عدالتَس منز سپدان چھےٚ۔ ۲۔ سو کاروأیی یوسہٕ اِنصاف ژھارنہٕ موکھٕ کانٛہہ کرِ۔

عَداوتھ:۔ (ن۔ مؤ: عداوت حف: عداوت حع: عدو)۔ وأر۔ ضِد، بوٚغض، کینہٕ۔ عِناد۔ دُشمن دأری۔

عَداوتھ آسُن:۔ (کأنٛسہِ ہُنٛد) ضِد یا بوغض آسُن۔ کینہٕ آسُن، دُشمنی یا عناد آسُن۔ وأر آسُن۔

عَداوتھ تھوٚن:۔ ضِد تھوٚن۔ بوٚغض تھوٚن، کینہٕ یا دُشمنی تھوٚنٕی۔ وأر تھوٚن۔

عَداوتھ کڈُن:۔ ضِد کڈُن، دُشمنی ہورٕنؠ۔ عِناد پوٗرٕ کرُن۔ قِصاص ہیوٚن۔

عداوتی:۔ بوٚغضی۔ کینہٕ ور۔ ضِد تھاوَن وول۔

عَدِل:۔ (ن۔ مؤ: عَدِل حع: عدل)۔ ۱۔ اِنصاف۔ دادَس واتُن۔ داد۔ ۲۔ دادرٕسی۔

عَدِل ژھانٛڈُن:۔ اِنصاف ژھانٛڈُن۔

عَدِل کرُن:۔ دادَس واتُن، اِنصاف کرُن۔ پزرَس پتھ روٗزِتھ فأصلہٕ کرُن۔ دادرٕسی کرٕنؠ۔

عَدِل کروُن:۔ اِنصاف کرَن وول۔ دادَس واتَن وول۔

عَذاب:۔ (ن۔ مؤ: عذاب حع: عذاب) یِذا، تکلیف۔ دوکھ۔

عَذابَس منز آسُن:۔ سختی منز آسُن۔ تکلیفس منز

آسُن ۔ دوکھن منز گیر گژھن۔

عذابہٕ أليم :- سخ یِذا۔ درٕدناکھ تکلیف۔

عذابہِ الٰہی :- خوداینہِ سنٛد طرفہٕ نازِل کرنہٕ آمٕت تکلیف، یِذا۔ خوداینہٕ سُنٛد قہر۔

عذابہٕ شدید :- سخ یِذا۔ زبردس تکلیف۔ دوکھ۔

عذابہٕ قبر :- قبرِ ہُنٛد عذاب۔ سُہ یِذا یا تکلیف یُس بداعمالو موجوٗب عالمہٕ برزخس اندر بُتھ ییہِ۔

عذابہٕ نِشہِ موکلُن :- ۱۔ یِذِہہٕ یا تکلیف نِشہِ موکلُن۔ فارغ گژھن۔ سختی تلہٕ موکلُن (اِشارٕ پأٹھی) طویل بیمارِ پتہٕ مرُن۔

عذاب آسُن :- یِذا آسُن، تکلیف آسُن۔

عذاب تُلُن :- ۱۔ یِذا یا تکلیف تُلُن، برداش کرُن۔ ۲۔ سزا تُلُن۔ ۳۔ زیچھ بِمارِ منز گرفتار گژھن۔

عذاب کرُن :- سختی کرٕنی۔ یِذا دیُن، تکلیف دیُن یا واتناوُن، پریشان کرُن۔

عذاب گژھن :- سختی گژھنۍ، یِذا واتُن، تکلیف واتُن۔

عذاب وُچھُن :- یِذا وُچھُن، تکلیف برداش کرُن پیوٚن۔

عرب :- (ن۔ مؤل: عرب <ع: عرب)۔ ۱۔ مغربی ایشیاہُک اکھ بوٚڈ علاقہ ییمہٕ کِس شمالس منز عراق، شام۔ جنوٗبس منز بحرِ ہند۔ مشرقس منز خلیج فارس تہٕ مغربس منز بحیرے قلزوم واقع چھِ۔ اَتھ چھُ عیوب بن قحطان پادشاہ سنٛدِ ناوٕ کِنۍ عرب ناو پیوٚمُت بیٲغمبرِ اسلام چھِ اَتی زامتی۔ ۲۔ عربُک

بسکین یا روزُن وول۔

عرَق :- (ن۔ مؤل: عرَق <ع: عرق)۔ ۱۔ عأرق۔ شیرٕ۔ رَس۔ موٚن یا پوشن بہہ دِتھ کڈنہٕ آمت لُبہ لُباب۔ ۲۔ گُمہٕ۔ عأرق۔

عرَق ریزی :- سخ میحنَتھ، جفاکشی، زوٗزُٹن۔ تیژ میحنَتھ کرٕنۍ زِ گُمہٕ ہُری گژھی زِ۔

عرَق فِشأنی :- عأرق وسُن، گُمہٕ چھکنہٕ تیٚنژ حالَتھ۔ سخ میحنَتھ، مشَقتھ، جفاکشی، زوٗزُٹن۔

عرَقِ گُل :- پوشن ہُنٛد عرق خاص کٔرتھ گولاب عأرق۔

عرَقِ گولاب :- گولاب عأرق۔

عرش :- (ن۔ مؤل: عرِش <ع: عرش)۔ ۱۔ (مُسلمانن ہنٛدی کِنۍ)۔ عالمہٕ بأنٛچ سوتھُر جاے یوسہٕ خودا صأبن پننہٕ بأپتھ مخصوص تھوٚومژ چھےٚ تہٕ یوٚت معراجہِ کہِ شبہٕ آنحضرتؐ کھارنہٕ آے۔ ۲۔ (ورگہ پأٹھی) آسمان۔

عرش اُلُن :- آسمان ژٹُن۔ (کأنسہِ ہنٛز آہ وزأری کِنۍ) عرشس الہٕ اَژُن تہٕ ڈُپتھ گوٚنہِ شدید ناکارگی۔ نو آسمان اُلن ہیوٚن۔

عرش اُلراوُن :- (وَدِ وَدِ ستی عرشس الہٕ ژاٹُن، سیٹھاہ آہٕ زأری کرٕنۍ۔ نالہٕ فریاد کرُن۔

عرشس الہٕ ژاٹُن :- سخ آہٕ زأری کرٕنی، وَدِ وَدِ کرٕنی، نالہٕ فریاد کرٕنی۔

عرشس پٹھ دِماغ آسُن :- کھِنی نہٕ فکرِ کھسُن

،کبر آسُن ،ژھوکھ آسُن۔

عَرشَس کھسُن:-۱۔تھۆد روتبہٕ یا پد پرٛاوُن۔

۲۔(ہرلِہ پاٹھی)مغرور گژھن۔ژھوکھ یا

کِبر گژھن۔

عَرشَس کھارُن:-۱۔اَسمانس کھارُن،تھۆد روتبہٕ یا

مَرتبہٕ دیُن(کانٛسہِ)۔۲۔کانٛسہِ ہنٛدِ سبٹھاہ

تأریف کرٕنۍ۔گون گیوٚنۍ۔

عَرشَس واتُن:-سبٹھاہ تھزر لبُن،تھۆد پد یا

روتبہٕ پرٛاوُن۔

عَرشہٕ اعظم:-خودایہ سُند عرش،تخت۔عرشِ عظیم۔

عَرشہِ پیٹھ فَرشَس تام:-اَسمانہ پیٹھ زمینس تام۔

ہیٚر پیٹھ بون تام۔دُنیہس عالمس منٛز۔

عَرشہِ پیٹھ فرشَس والُن:-تھدِ روتبہٕ پیٹھ

وَالُن۔ایری پیری والنۍ۔مَدِ والُن۔

عَرشہِ عظیم:-وُچھو''عرشِ اعظم''

عَرشہِ عظیم کھوتہٕ چھُ خولقہِ عظیم بوٚڈ:-تہٕ

دُپتھ گوٚیس یۆت رُت وَرتاو آسہِ تَس چھُ

تیوٚت تھۆد دَرجہ آسان۔

عَرشِ معلّٰی:-وُچھو''عرشِ اعظم''

عَرشہِ وَٹنۍ:-اَیسی اَیسی پٲزار پیٚنۍ۔بے خبر پاٹھی

سَخ خجل گژھن۔

عرٕض:-(ن۔مؤل:غرض ح ع:عَرض)۔۱۔کھجر،پناہ،

بَر۔۲۔اِلتماس۔منگُن۔

عرٕض بوزُن:-کانٛسہِ ہنٛز کتھ کَن تھاوُن،گذارِش

بوزٕنۍ۔اِلتجا بوزُن۔

عرٕض بیگی:-زیٹھ مُنشی،میر مُنشی۔سُہ مُلازِم یُس

(پتھ کالہِ)پادشاہَس تام لُکن ہنٛدِ دَرخاس

واتناوان اوس۔

عرٕض داشت:-اِلتماس۔درخاس،عرضی،گذارِش پیتر۔

عرٕض کرُن:-۱۔کانٛسہِ حاکِمَس یا بڈِس موہنیِس

بروٗنٹھہ کنہِ بیانکرُن،وَنُن۔۲۔اِلتجا کرُن۔

اِلتماس کرُن،گذارش کرٕنۍ۔

عرٕض حال:-پنُن حال گذاوُن۔پنُن گذرُن باوُن۔

عَربستان:-(مؤل:عربستان ح ع:عرب+ف:ستان)

عَرب۔اَز چھِ اتھ سعوٗدی عرب وَنان۔

عَربی:-(ن۔مؤل:عربی ح ع:عربی۔۱۔عرب،عربک

بُسکین یا روزن وول۔۲۔عربَس منٛز بنیومُت۔یتھ

عربَس سۭتۍ توٗلُق آسہِ۔۳۔عَربچ زَبان۔عربُن

ہنٛز ماجہِ زبو۔عربَن ہنٛز بۆلی۔

عَربی بُرقہٕ:-اکہِ خاص قِسمُک نِقابہٕ۔

عَربی خان:-(ح ف:عربی خوان)۔یُس ٹھیکھ

پاٹھی عربی پران آسہِ۔عربی زبانۍ ہُند عالِم۔

عَربی دان:-(ح ف:عربی دان)یُس عربی زبان

زانان آسہِ۔یُس پۆر پاٹھی عَربی پرِتھ،لیکھتھ تہٕ

بۆلتھ ہیکہِ۔یَس عربی زبانۍ پیٹھ مَہارتھ آسہِ۔

عَربی گر:-عرب علاقُک گر-عَرب علاقُک گُر چھُ

دۄستیس دُنی یاہس منز تیز رفتاری تہٕ پھُرتی باپتھ مشہور۔ تازی گر۔

عرضی:- (م۔مؤل: عرضی <ع: عرض+ف:ی) لیکھتھ دَرخاس۔ تحریری گذارِش، سہٕ کاکز یتھ منز کانٛسہِ افسرس بیترِ باونہٕ پٔژھی پننہٕ حال یا گدرُن لیکھتھ آسہِ تھوومت۔

عرضی ٹھکنی:- ا۔ دَرخاس دِتھ تھون۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کلہٕ پیٹھہٕ وأنٛلتھ تھوٗن۔ نکھ وأنٛلتھ تھوٗن۔

عرضی دادا (دعوا):- (<ف: عرضی۔دعویٰ) دیوأنی مُقدِمس منز مُدعی سنٛز عرضی۔

عَرضی دِنی:- دَرخاس دیُن۔

عرضی نۆیس:- ا۔یُس لۆکن ہنٛز عرضی لیکھی لیکھی پنٛن گُزارکران آسہِ۔ ۲۔ عدالتس متلق دَروازس بیترِ لیکھن وول۔ یُسنٛد پیشہِ عرضی لیکھنہٕ آسہِ۔

عَرفات:- (ن۔مؤل: عَرفات <ع: عرفات)۔ (اِشارٕ پأٹھی) مأدانِ عرفات۔ "عرفات" چھُ اَکھ کھُلہٕ ڈُلہٕ تہٕ کُشادٕ مأدان یتھ منز حاجی عَرفُک دۄہ گوٚڈتھ پٔشن تہٕ دِگر نماز پرٕتھ خوفتنہٕ بروٚنٛہہ مُزدلفہٕ واپس یوان چھِ۔ (یہ مأدان چھُ مکہٕ پیٹھہٕ ۱۲ میل دوٗر)۔

عرفہٕ:- (ن۔مؤل: عرف)۔ <ع: عرفۃ)۔ ا۔ ماہِ ذِلحجُک۔ نۆیم تأریخ ییمہٕ دۄہہٕ مُسلمان حج چھِ کران تہٕ حاجی چھِ عرفات گوٚڈتھ حجکی اَحکام پالان۔ ۲۔ عیز برونٛٹھ اَکھ دۄہ۔

عَزازیل:- (<ع: عزازیل)۔ شیطانہٕ سُند سہٕ ناو یُس تَس عالمہِ بالاہَس منز اوس۔

عَزم:- (ن۔مؤل: عزم <ع: عزم) اِرادٕ۔ قصد۔ کُنہِ پیٹھ کمبر گنڈُن۔

عَزم آسُن:- اِرادٕ آسُن۔

عَزم کرُن:- اِرادٕ کرُن، کُنہِ کامہِ پیٹھ کمبر گنڈُن۔ ہۆل گنڈُن، قصد کرُن۔

عَزمِ مُصَمم:- پوٚختہٕ قصد۔ مُکمل اِرادٕ۔

عَش عَش:- (<ف: عَش عَش) مَرحبا۔ بابا شاباش۔ یہ چھُ آفرینُک اَکھ جُملہٕ۔

عَش عَش کرُن:- سبٹھاہ تأریف کرٕنی۔ ہِکہٕ پأٹھی واہ واہ کرُن۔

عَشرتھ:- (ن۔مؤل: عشرت <ع: عشرۃ)۔ عأش۔ مزٕ، فرحتھ، آنند۔

عَشر:- (<ع: عشر) داہ۔

عَشرِ اوّل:- رَمزانُک گوڈنیُک دہٕیل، رمزانکی گوڈنکی داہ دۄہ۔

عَشرِ ثانی:- کُنہِ مہِ تأریخہِ پیٹھہٕ ڈہن مس تام۔ رمزانکی دۆیمی داہ دۄہ۔

عَشرِ عُشیر:- ہتیم حصہٕ۔

عَصا:- (ن۔مؤل: عصا <ع: عصا)۔ ا۔ لۆر۔ ڈنٛڈٕ۔ عاصہٕ۔ ۲۔ سو لۆر یوسہٕ اِمام جُمعہ دۄہ خوطبہٕ پَرن وِزِ اَتھس تل رَٹان چھُ۔

عَصایہِ پپر بجایہِ پپر :- پپر ہنز لؤ رتہِ گیہ پپرے مَطلب مَسلہِ چھُ اعتقادُک ۔ تہِ ڈ یتھ گو پپر نہ سٔہی تہٕ ہنز لؤ رے سٔہی م : پپر نہ بوٗ ڈیقیپن بوٗ ڈ۔

عصاب :- رَگہٕ ۔ نأر۔

عصأبی نِظام :- کأڈی واون ہُند نظام ، شَری یا نن ہُند نظام ۔ حبہٕ چَن تارَن ہُند نظام۔

عَصِر :- (ن ۔ مؤل: عصر > ع: عصر) ۔ ا ۔ زمانہٕ ۔ کال ۔ ۲ ۔ دِگر ، دِگر نماز ہُند وَقت ۔ ۳ ۔ قرآنِ شُریفہٕ کہِ اَکہِ سؤرُک ناو۔

عَصمَتھ :- (م ۔ مؤل: عصمَت > ع: عصیۃ) ۔ پاکدامنی ۔ شِلمأنی ۔

عَصمَتھ دار :- شِلمان (زنانہٕ) ۔ پاکدامَن (ژٔنی) ۔

عَصمَتھ دٔری :- ناش پھاش ۔ کأنٛسہِ زنانہِ سٟتی زبردٔستی زِنا۔

عَصیان :- (> ع: عصیان) ۔ ا ۔ نافرمأنی ۔ ۲ ۔ گوناہ ۔ پاپھ ۔ اَثر ۔

عَطا (کرُن) :- (> ع: عطا) ۔ (کأنٛسہِ) دیُن ، بخُش (یژھ پأٹھی ینامہٕ بیتِر) ۔

عَطار :- (ن ۔ مؤل: عَطار > ع: عطار ۔ عطرکہ) ۔ ا ۔ بُہر ۔ ۲ ۔ عِطر کٔنن یا بَناوَن وول ۔ عِطر فروش ۔ پھٔلِلہٕ کٔنن وول ۔

عَظمَتھ :- (م ۔ مؤل: عَظمَت > ع: عظمۃ) تھَور ۔ بَجر ۔ برتری ، بُزرگی ۔

عَفوٗ ، عوٗفوٗ :- (ن ۔ مؤل: عفو > ع: عفو) ۔ دَرگُذر ۔ مأفی ۔ بخشأیش (اَتھ بیتِر) ۔

عَفوٗ سپدُن :- تژ اونہٕ یُن ، بخشنہٕ یُن ۔ ماف سپدُن ۔

عَفوٗ کرُن :- بخشُن (خطا بیتِر) ۔ دَرگُذر کرُن ۔ مأفی دِنٛی ۔

عَقأید :- (مؤل: عقأید > ع: عقائد) ۔ عُقید ۔ لفظُک جمع ۔ مذہبی اُصوٗل ۔ تِم اُصوٗل یِمن پٔٹھ پوٗر پَژھ آسہِ ۔

عَقد :- (ن ۔ مؤل: عَقد > ع: عقد) ۔ ا ۔ گنڈ ۔ ۲ ۔ نکاح (کرُن) ۔ نیٚتھُر ۔ شَرع موٗجوٗب زنانہٕ ہُند مَردَس سٟتی نیٚتھُر ۔

عَقِل :- (م ۔ مؤل: عقل > ع: عقل) ۔ یوٚد ۔ گاٹہٕ ، دأنِش ، زیرکی ۔

عَقِل پٟنٛز :- بو دواتٕتی ۔ وَقتہٕ وِزٕ ئنہٕ کیتھ کٕن ظون گرٕ ھن یا پیوٗن ۔

عَقِل راوٕنی :- حأران گوٗھن ۔ حواس بنہٕ روزٕنی

عَقِل مَند :- گاٹُل ، دانا ۔ زیرک ۔ دأنِش مند ۔

عَقِل مَندی :- گاٹہٕ جار ۔ دانأیی ۔ صَحی فہم ۔

عَقِل موٹٕنی :- مَڈ گوٗھن ۔ گاٹہٕ جارٕچ تیزی کم گژھنی ۔ عَقِل بنہٕ کأم کرٕنی ۔

عَقِل مونٹٕنی :- وُچھو "عَقِل موٹٕنی" ۔

عَقِل واتٕنی :- گاٹہٕ جار پلُن ۔ عقل پٟنٛز ۔

عَقِل ہٟنٛز :- پاٚنَس پیوٗن ۔ سادَس پیوٗن ۔ حبہٕ پھیرُن ۔

عَقلاؤ زیر :- ا ۔ کأشرِس لُکہٕ اَدَبَس اَندر اکھ کردار ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ) تژٕ عاقِل ، یُس پٟنٛنی کٕنی رَت مَشوٕر

دِیہِ اماپوٗز آسہِ غلط۔
عَقلہِ سَلیم:۔صَحی تہٕ جس پیٹھ واتَن واجنی عقل۔رِتس تہٕ کرتِس منز صَحی فرق کرن واجنی عقِل۔رُت گاٹہٕ۔
عَقلہِ کاّم ہیٚنٛز:۔وِچھتھ پکُن۔کانٛسہِ ہنٛز کتھ نہٕ گوٗھن۔گرس نہٕ لاینہٕ یُن۔
عَقلہِ گُل:۔(<ع: عقلِ کُل)۔ا۔تصوُفس اَندر کایِناتی شوٗعوٗر۔۲۔گاٹہٕ جار گاٹہٕ جار۔۳۔(ہزلہِ پأٹھی) دانایہِ دَہر۔
عَقلہِ کھش کرُن:۔عقِل تُلِتھ تھوٚنی۔صرف اعتقادس کاّم ہیٚنٛز۔زأنِتھ وُل لاگُن۔
عَقلہِ نمبر:۔یہِ نہٕ شوٗعوٗرس منز ییہِ۔ییمیُک نہٕ تصوٗرے آسہِ۔
عَقرب:۔(ن۔مؤل: عقرب <ع: عقرب)۔ا۔بِچھ۔ ۲۔دزٕ ہیچک راش۔اکھ بُرجُک ناو۔۳۔(ورگہِ پأٹھی) ییدا یا تکلیف واتناوَن وول۔
عکس:۔(ن۔مؤل: عکس <ع: عکس)۔ا۔ژھاے، سایہ۔۲۔(ورگہِ پأٹھی) پرتَو۔
عکس پیوٚن:۔ا۔ژھاے ہیٚنٛز۔۲۔(ورگہِ پأٹھی) اثر پیوٚن۔کانٛسہِ ہنٛز یا کُنہِ چھانپھ لگٕنۍ۔
عکسی:۔(<ع: عکس + ف:ی)۔ا۔عکسہٕ پأٹھی۔ عکسُک۔۳۔فوٹو بیترِ۔
عَلَل اعلان (علی الاعلان):۔(<ع: علی الاعلان) نَنہٕ وانہٕ۔اعلانیہ، سارِنٕے ہِنٛز۔کھُلہٕ پأٹھی۔

عَلَل حِساب:۔(ع: علی الحساب) حِسابہٕ موٗجوٗب۔ بوزٕ شوٗژِ کنٛی۔
عَلَم:۔(م۔ن۔علم <ع: علم)۔اجَنٛڈٕ جنٛڈی۔۲۔کربلاہکین شہیدن خاص کرِتھ حضرتِ عباسؑ سِندِ ناوُک نِشانہٕ۔تِمن جنٛڈن بیترِ تہٕ چھِ وَنان یِم عوشوٗرِ کِس جلوٗسس منٛز اہلِ تشیع کڈان چھِ۔۳۔(ہشر کتھِ) چھل ربل۔
عَلَم تُلٕنۍ:۔ا۔جنٛڈٕ تُلُن۔۲۔کانٛسہِ ہُنٛد پرٛوپگنٛڈا کرُن۔ ۳۔(ورگہِ) کانٛسہِ ہنٛز وَتہٕ پیٹھ پکُن۔کانٛسہِ ہنٛز پأروی کرٕنۍ۔
علَم دار:۔ا۔یَس اتھِ فوجُک جنٛڈٕ آسہِ۔۲۔(اِشارٕ پأٹھی) حضرتِ عباسؑ، کربلاکس جنٛگس منٛز اوس حسینیؑ فوجُک جنٛڈٕ تِمہٕ نٕے اتھِ۔م عباسِ علمدار۔۳۔کشیرِ اندر چھُ شیخ نورالدینؒ صأبس تہٕ یوہے لقب۔
علَم کڈٕنۍ:۔جنٛڈٕ کڈُن۔کشیرِ منٛز چھُ یہ اکھ مذہبی رٕسم زیٚیلہِ کانٛہہ ووگتہٕ ییہِ ہا اَستانہٕ منٛز اَسی علم کڈان تہٕ عیدگاہ وَسان تہٕ تتہٕ توبہ بیترِ کران۔ نوٗفلہٕ باپتھ زیارتہٕ بیترِ منٛز علم کڈِتھ جلوٗسس منٛز نِنۍ۔
علمہِ بغاوت۔ بغاوتُک جنٛڈٕ۔ سَرکشی ہِندِس جلوٗسس بروٚنہہ بروٚنہہ نیرُن کاّم۔
علَیہ الرحمتہ:۔(<ع: علیہ الرحمتہ) تَس پیٹھ اَسِن خودایہ سِنٛز رحمتھ، مرَن وأٔلس پیٹھ اَسِن خودایہ سِنٛز رحمتھ۔(یہ چھِ کانٛسہِ (مورِدِ سُند) بُزرگہٕ سُند ناو

فتح کرُن :- (مُلک بیترٕ) زیُٹن ۔

فَتارَتھ :- [مؤل: فَتارت <ع: فَتوُر] ۔ فأتُرأ زی باوِرگی ۔ مرَوٗر ۔ (سوکتھ) ۔ یتھ نہٕ ہوٚٹ لوٗٹ آسہِ ۔

فَتارَتھ وٲنۍ :- تہٕ وَنُن یتھ ہوٚٹ لوٗٹ آسہِ نہٕ ۔

فَترَتھ :- [م ۔ مؤل: فترت <ع: فترۃ] ۔ سیتھ ۔ تھوس ۔

فَترَتھ اَنٛنۍ تُلنۍ :- سیتھ اَنٛنۍ ۔ تھوس اَنٛنۍ ۔ سیوٚد سیوٚد نہٕ کینٛہہ کرنہٕ دیُن ۔ گیٛوٗرانُن ۔ اَتھ وَتھ نہٕ دِنۍ ۔

فَترَتھ ہیٚنۍ :- سیتھ ہیٚنۍ ۔ تھوس ہیٚنۍ ۔ گیٛوٗریُن ۔ اَتھ وَتھ نہٕ ہیٚنۍ

فٹافٹ، فٹوٗٹ :- وٗلی وٗلی ۔ جَل جَل ۔ فورن ۔

فحش :- [مؤل: فحش <ع: فحش] ۔ لکھ ۔ گنٛد (کلام) ۔ تہذیبہٕ نبر، بےٚ شرمی تہٕ بےٚ حیأیی ہنٛز کتھ بیترٕ (لیکھِتھ یا زبأنی)

فخر :- [ن ۔ مؤل: فخر <ع: فخر] ۔ کُنہِ پٹھ ناز تھکبٕنٛک باعِث ۔ شرف ۔

فراخدِل :- [مؤل: فراخدِل <ف: فراخدِل] ۔ دِلہِ بوٚڈ یُس نہٕ لوکچن لوکچن کتھن ہُنٛد پرواے کران آسہِ ۔

فراخدِلی :- دِلچ وُستھ ۔ بوٚڈ جِگر ۔

فراش :- (مؤل: فراش <ع: فراش] ۔ فرش بیترٕ کرن وول ۔ فرشی سامانٕک رأچھدر ۔

فراش خانہٕ :- سوٗر جاے یا کُٹھ بیترٕ یتھ منٛز فرشہِ فوٚرُوشُک سامانہٕ تھاوان چھِ ۔ فرش کرنٕک تہٕ فرش رٔچھِتھ تھونٕک سرکأری محکمہٕ ۔

فراش بین :- رازمَہَن ہُنٛد اکھ قسم ۔

فراغَتھ :- [م ۔ مؤل: فراغت <ع: فراغۃ] ۔ ۱ ۔ موکلِ ۔ فُرصَتھ ۔ ۲ ۔ فِکر یا پریشأنی نہٕ آسٕنۍ ۔ پوٚت کٔج ورأے آسُن ۔ پوٚت فِکر نہٕ آسٕنۍ ۔

فراغَتھ نہٕ دِنۍ :- موکل نہٕ تھٲونۍ ۔ تأر نہٕ دِنۍ ۔

فراموش :- [مؤل: فراموش <ف: فراموش] ۔ موٚٹھمُت ۔ یہ نہٕ ژٕتَس آسہِ ۔ مشرب ۔

فراوأنی :- [م ۔ مؤل: فراوأنی <ف: فراوانی] گٕنتہٕ جار ۔ سولبہ گی ۔ یِژہ پأٹھۍ آسُن ۔

فراہَم (فرع) :- [مؤل: فرع <ع: فَرع] تہٕ ییٚنہٕ اصل آسہِ ۔ کٔٹہٕ ۔

فراہَم :- [مؤل: فراہم <ف: فراہَم] ۔ اَتھَس منٛز ۔ دَس یاب ۔ مویسر ۔

فراہَم تھٲوُن :- حأضِر تھٲوُن ۔ مویَسر تھٲوُن ۔ دسیاب کرُن ۔

فراہم کرُن :- واتنأوِتھ دیُن ۔ دسیاب تھٲوُن ۔

فرأسی ۔ ہ :- [فراش <فرنٛچ فرانسیسی] ۔

فرأسی ٹنگ :- اَکھ ٹنگہٕ ذاتھ یوسہٕ ژٕرِس کالس دَران چھِنہٕ ۔

فرأسی ژوٗنٹھ :- اکہِ قسمٕک ژوش ژوٗنٹھ ۔

فرأسی کٔنۍ :- گرِ تھ تہٕ ژٕرِتھ کٔنۍ ۔ پیٚچ بناونہٕ آمٕژ کٔنۍ ۔

فرأسی مونجِہ :- اکہِ خاص قسمہٕ چہِ مونجِہ ۔

فرأش :- وُچھو "فرأسی"

**فرِد:**- [ن-مؤل: فرد<ع: فرد]۔ا۔حساب کِتابُک فہرست، لِکھِ وٕتُر۔۲۔ سہ کاکد وَرق یتھ پیٹھ لۆکن ہنٛدی یا چیزَن ہنٛدی ناو لیکھتھ آسن۔۳۔کانٛہہ اَکھ شخص۔۴۔اَکھ توش، یک پاٹھ (پوشِر یا ژادر بیترِ)۔۵۔ اَکھ زٕون۔اکھ نفر کُن زٕون۔۶۔لوکٕٹ سَطرٕنٛژ۔

**فردِپٹ:**-اکھ قسمُک زاوِج ژادر پٹ۔(پشمینہ یانٛژ)

**فردِجُرم:**-مُلزمَس جُرم بوزناونُک کاکد۔اِلزام وَرق۔

**فردِواحِد:**-کُنُے زٕون۔

**فردَن فَردَن:**-بیٚون بیٚون۔اکہِ اکہِ۔

**فرِش:**- [ن-مؤل: فرش<ع: فرش]۔ا۔پٔتھرِ وَتھرُن۔تمہ پَلو بیترِ یم پٔتھرس پیٹھ بِہنہِ باپتھ وَہراونہٕ ییٚن۔م: قالیٖنہٕ، سَطرٕنٛژ، مَسنَدِ بیترِ۔ ۲۔سۆمراونہٕ آمٕتس زٔمیٖنس پیٹھ وَہراوِمٕژ سیٖرِ، روٗڑی یا باجر بیترِ۔۳۔ پٔتھر۔تالوٗک پیٚٹھُم طرف۔

**فرِش دیُن:**-تالوٕ پٔچہِ تراونہٕ دَلو دیُن۔م: دۆیمس پورس دِموٚ پگاہ فرِش کٔڈلس دِتھ فرِش۔

**فرشہِ فروٗش:**- ساری سے فرش کرِتھ آسنٕچ حالتھ۔ ژوپاری وَتھرُن کرِتھ۔

**فرض:**-[ن-مؤل:فرض<ع:فرض]۔ا۔یہ کرُن پزِ۔ یہ کرُن واتہِ۔۲۔ییتھ تاکید آسہِ۔ضوٗروٗری، لازِم۔ییتھ نہٕ کانٛہہ چارٕ آسہِ۔۳۔ خوداینٛسُند حکم۔۴۔نمازِ ہنٛز تمہ رکاژ یمہ خودا تعالیٰ ہنٛدِ طرفہٕ پرنہٕ لازِم چھےٚ تہٕ یمو ورأے نہٕ نماز مُجرا پیہ، یمہ چھےٚ باجماتھ پرنہٕ یوان۔۵۔ذِمہٕ واری، مَٹہِ داری۔ڈِوٹی۔۶۔گورِ۔ گوڈنیُک تأریخ۔پہلا۔م: فرضِ رمضان۔

**فرض پۆرٕ کرُن، فرض نکھہِ والُن:**-ا۔ذِمہٕ داری پۆرٕ کرٕنۍ۔مَٹہِ داری انجام اَنٕنۍ۔ڈِوٹی دِنۍ۔ ۲۔خوداینٛسُند حُکم بجا اَنُن۔

**فرض شناس:**-پنُن فرض زانَن وول۔فرض پالَن وول۔

**فرض شناسی:**- ذِمہٕ داری ہُنٛد احساس آسُن۔پنٕنۍ فرض پرزناوٕنۍ

**فرض کرُن:**-مانُن۔مِثالہٕ پأٹھۍ ہیُن۔خیال کرُن۔ قیاس کرُن۔

**فرض نماز:**-وُچھِو "فرض"، لفظس تَل۔

**فرضِ دائیم:**-اکہِ وَظیفُک ناو۔اَکھ ذِکر۔

**فرق:**-[م-مؤل:فرق<ع:فرق]۔ا۔دون رقمن ہنٛز کھسہِ وَس۔نابرابری۔۲۔بیٚنر۔ووپرازی۔

**فرق بوزٕنۍ:**-بِہن بوزُن۔پنُن نہٕ زانُن۔پانہٕ نیار نہٕ باسُن۔

**فرق زانٕنۍ:**-ا۔بِہن بوزُن۔اَکی نظرِ نہٕ وُچھُن۔ ۲۔ووپرازی زانٕنۍ۔۳۔تمیز کرِتھ ہکُن۔

**فرق کرٕنۍ:**-تمیز کرُن۔بِہن کرُن۔پھیر بوزُن۔

**ہ-فروش:**- [ن-مؤل: فروش<ف: فروش]۔کِنَن وول۔م: لال فروش: دزٕ وگی فروش بیترِ۔یہ

چھُ کینٛژَن مِلہٕ مِشہٕ لفظن پٮ۪تہٕ یوان۔

فرٚبیٖہہ:- [ف: فربہہ]۔ اُلی اُلی کھوٚتمت۔ فِکرٕ نہٕ آسنہٕ کِنی تازٕ تہٕ وُسوار۔ ویوٚٹھ، موٚٹ، پوٚٹھ۔

فَرحتھ:- [م۔مؤل: فَرحت < ع: فرحۃ]۔ سوکھ، راحتھ۔

فَرحتھ بخش:- ییمہٕ ستی سوکھ واتہٕ یا ییمہٕ ستی خوٚشی سپدِ۔

فَرفر:- [< ف: فَرفر < ع: فرفرۃ]۔ وُچھِو "پھَر پھَر"

م: کوترٕ ژٕلی فَرفر کران۔

فَرفر کران:- یکدم۔ تاٗرتھو نے۔ ژٕلی ژٕلی۔

م: لڑکہٕ گوٚو سٕہ یُس فَرفر کران سبق بوزناوِ۔

فرزَند:- [ن۔مؤل: فَرزند < ف: فَرزند] گوٚبُر۔ نیچوٚ، لڑکہٕ۔ کوٚٹ۔ بوٚگت۔

فرسوٗدٕ:- [مؤل: فَرسوٗد < ف: فرسوده]۔ گوٚمُت گذریومُت۔ پژانیومُت۔ پژون آسنہٕ کِنی نالگہٕ ہارنہٕ آسُن، بوٚسید۔

فَرشی:- [مؤل: فرشی < ف: فَرشی < ع: فرش]۔ یہٕ کینٛژھا فرشس لگہِ یا فَرشہِ فوٚرژشہِ باپتھ آسہِ۔ فرشس لایق۔

فَرشی جَجیر:- اکہِ خاص قِسمُک بڑٕ جَجیر یتھ نہٕ نَے ووٚءِ گنی آسہِ۔

فَرشی گبہٕ:- یَرمہٕ دار گبہٕ۔

فرضی:- خیاٗلی۔ قیاٗسی۔ سو کتھ بیترِ یتھ نہٕ کانٛہہ بُنیاد آسہِ۔ اپزٕ۔

فرلانگ:- [ن۔مؤل: فرلانگ < اَنگ: فرلانگ Furlong]۔ اکہِ میلُک اِٹھُیم حصہٕ۔

فرماش:- وُچھِو "فورمائیش"۔

فرمان:- وُچھِو "فورمان"۔

فرماوُن، فورماوُن:- وَنُن۔ کینٛہہ زیوٕ کڈُن، (خاص گرتھ کاٗنسہٕ زِٹھی سُند)۔

فرمائیش:- وُچھِو "فورمائیش"۔

فَرمہٕ:- [ن۔مؤل: فَرم < اَنگ: فارم Form]۔
١۔ چھاپٕنہٕ تراونہٕ یا نقشہٕ کھنٛنک سانچہٕ۔
٢۔ روڑٕ یا سیکہٕ بیترِ ہُند کرنہٕ آمُت خاص قسمُک چٹہٕ یا ڈیر، یہٕ کرنہٕ ستی چھُ فٕٹوار کرنہٕ یوان۔

فرنیچر:- [ن۔مؤل: فرنیچر < اَنگ: فَرنیچر۔ Furniture] میز، کُرسیہٕ تہٕ الماری بیترِ (فَرشی چیز)۔

فروری:- [ن۔مؤل: فروری < اَنگ: فیبرُوری۔ February]۔ انگریزی وُری یک دوٚیم رِتھ۔ جنوری تہٕ مارچ دون رِتن منٛز یِنہٕ وول رِتھ۔

فَرہنگ:- [ن۔مؤل: فَرہنگ < ف: فَرہنگ] لوٚغتھ۔ ڈِکشنری۔

فَرہاد:- [ن۔مؤل: فرہاد < ف: فرہاد]۔ "شیٖرین فرہاد" مثنوی منٛز شیٖرین ہِنٛد ہُند عاشق۔

فرہاد بُڑ:- ١۔ سو بُڑ یوسہٕ کوہِ بے ستوٗنس پٮ۪ٹھ فرہادس شیٖرین ہِنٛدِ مَرنُک شیٖچھ بوٗزِتھ گیہِ تہٕ یوسہٕ شیٖچھ بوٗزِتھ فرہادن پانہٕ مور ژُھن۔ ٢۔ بڑٕ دراٗنٛکھر۔ ٣۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) پھچٕل بُڑ۔

فرٕہنگی:- [مۄل: فرٕہنگی < انگ: فرینک - Frank)
یوٗرپی، یوٗرپٕک روزن وول۔
فراڈ:- [م۔مۄل: فراڈ < انگ: فراڈ Fraud]۔
جالسازی۔ یتھ منز دوکھ آسہِ۔ تارن گری۔
فرانس:- [ن۔مۄل فرانس < انگ: فرانس France]۔
یورپکہِ اکہِ مُلکُک ناو۔
فری:- [مۄل: فری < انگ: فری Free] مُفت۔ کُنہِ
قیمتہِ ورأے۔ تِتھے۔ ۲۔ آزاد، یَلہٕ۔
فرٗوٹ:- [ن۔مۄل: فروٗٹ < انگ: فروٗٹ
Fruit]۔ میوٕ۔ پھَل۔
فریم:- [ن۔مۄل: فریم < انگ: فریم Frame]
لُکرِ ہُند یا بیٚیہِ کنٛہِ چوکاٹھ، یتھ منز تصویر بیترِ
تھونہٕ یوان چھےٚ۔
فَساد:- [ن۔مۄل: فساد < ع: فساد]۔ ا۔ فِتنہٕ۔
ہنگامہٕ۔ ۲۔ پانہٕ وأنی نہٕ ہواصاف آسُن۔ اَن
بَن آسٕنۍ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) تتھ کتھِ تہٕ وَنان
ییمہٕ سٟتۍ کُنہِ مجلسہِ منز لڑایہ لڑایہ ووتھِ۔
فَسادس زیر دِنۍ:- نیٚاے زٕٹھراوُن۔ لڑایہ
وُتش دیُن۔
فسادُک گوڈ:- سُہ یُس نیٚایس زیر دِیہِ۔ تناز
تُلن وول۔
فسادٕ پھُٹُل:- یُس فسادٕ زوورِ، یُس لڑاین جگڑن زُوژِنہٕ۔
فَسادٕ تُلُن:- مۄکری تُلنۍ۔ لڑأے بیترِ زٕ وورنۍ۔

نیٚایس وُتش دیُن۔
فسادٕ زوورُن:- وِچھِو "فسادٕ تُلُن"
فسادٕ کرُن:- وِچھِو "فسادٕ تُلُن"
فسادٕ ووتھُن:- نیٚاے زیوٗن۔ مۄکری پأدٕ گژھنۍ۔
شوٗرِش ووتھنۍ۔
فَسانہٕ:- [ن۔مۄل: فسان < ف: فسانہ]۔ "افسانہٕ"
لفظُک ژھوٚٹ۔ وُچھِو "اَفسانہٕ" تہٕ۔
فسأدی:- [مۄل: فسأدی < ف: فسادی]۔ فسادٕ تُلن وول۔
فِتنہٕ تہٕ ہنگامہٕ کَرن وول۔ یُس شوٗرِش پھألاوِ۔
فَصاحت:- [م۔مۄل: فَصاحت < ع: فصاحۃ]۔
کانٛہہ کتھ وَننہٕ ٹنک تیُتھ طریقہٕ یتھ منز لفظن
ہُند مِیچھر تہٕ روأنی آسہِ۔ خوش بیأنی۔ خوش کلأمی۔
فَصل:- [ن۔مۄل: فَصل < ع: فصل]۔ پأداوار
(میوٕن تہٕ اَناجُک بیترِ)۔ ووپد۔
فَضل:- [ن۔مۄل: فَضل < ع: فضل]۔ ا۔ برکتھ۔
۲۔ مہربأنی۔ رَحم۔ ۳۔ بچاو۔
فَضل بَنُن:- آمژ بلاے ژٕلنۍ۔ سہل بَنُن۔ رحم بَنُن۔
فَضلِ الٰہی:- ا۔ خودایہٕ سٕنز مہربأنی عنایتھ تہٕ نوأزِش۔
فضلِ خودا:- ا۔ خودایہٕ سٕنز مہربأنی۔ ۲۔ کٲنٛہہ نہٕ
کُنہِ لایق نہٕ، یہِ چھُ تیُتھ وَننہٕ یوان ییلہِ کانٛہہ یا
کیٚنٛہہ اَپُزٕے یانہٕ آسنس برابر آسہِ یا ییلہِ کانٛسہِ
ہٕندِ بچُھ بڑا انتھ روزِنہٕ۔
فضلِ خودٕہَس پٮ۪ٹھ دٕرِتھ آسُن:- ا۔ کمزورتہٕ

ناتوان اَستھ تہِ دوہ دوہ کڈُن ۔ پھوگن پپٹھ آسُن ۔۲۔ خستہٕ حالی اَستھ تہِ دَم دَم کڈُن ۔

فقط :۔[مؤل: فقط < ع: فقط ] ۔صرف، محض ۔

فَلَک :۔ [ن ۔مؤل: فلک < ع: فلک ]۔ا۔ نَب، آسمان، آکاش ۔۲۔ اکہِ قسمُک سَزا ییتھ اَندر کلہٕ بون کُن کرِتھ اَلوٚنڈ اَسی تزٕ اوان ۔

فلک تُلُنۍ :۔ سَخ شور تُلُن ۔ سَخ کرٛ کہٕ نادٕ تُلُن ۔

فلک نہٕ فِکِر کھسُنۍ :۔ پاَنس برابر نہٕ کانٛہہ باسُن ۔ آنٹہٕ نہٕ کھسُن، گرٛ ین نہٕ گرٛھنۍ ۔

فلکس تزٕ اوٗن /لَدُن :۔ نَرِ زنگہٕ گنٛڈِتھ کلہٕ کنۍ اَویزان تزٕ اوٗن، اَلوٚنڈ تزٕ اوُن، تزٕ و دِلَدُن ۔

فلاسفر :۔ [مؤل: فلاسفر < اَنگ : فِلا سفر ۔ Philosopher ]۔فلسفہٕ دان ۔ فلسفی ۔ فلسفہٕ زانَن وول ۔

فلالَن :۔ [ن ۔مؤل: فَلالَن < اَنگ ۔ فلانل ۔ Flannel]۔اکہِ قسمُک پھیٚتۍ دار ٲستھر کپُر ۔ اکہِ قسمُک نَرم اوٗنی کپُر ۔

فلانۍ :۔ [< ع: فلان]۔ اِشارٕ پاٹھی کانٛسہِ کُن وَنان ۔ سُہ یَس کُن اشارٕ آسہِ ۔

فلسفہٕ :۔ [ن ۔مؤل: فلسفہٕ < ع: فلسفۃ]۔بُنۍ یادی اوصُولن ہُند عِلم ۔سُہ عِلم یُس سایِنسہٕ نبر آسہِ ۔

فلسُفی :۔[< ع: فلسفی ]۔فلسفہٕ زانَن وول ۔

فموار :۔[ن ۔مؤل: فموار < ہ: پھوارا]۔آبک یا بیٚیہ کُنہ

ترَل چیزُک چھکھ ۔

فَن :۔ [ن ۔مؤل: فَن < ع: فَن ]۔گاٹھ ۔ کسب ۔ کینٛہہ بناونُک یا کرنُک ہونَر ۔

فن کار :۔ [ن ۔مؤل: فَن کار < ع: فن + ف: کار]۔ کُنہِ فنس منٛز ماہر ۔ہونَر مَند ۔ آرٹسٹ ۔۲۔ کاسب

فن کاری :۔ کُنہِ فنس منٛز مہارتھ ۔ہونَر مَندی ۔

فَنَل :۔[ن ۔مؤل: فنل < اَنگ: فَنل] کیف ۔ گنٛز ۔ اَکھ کھۄ ہیوٚ چیز ییمہِ منٛزی تیل بیترٕ تراونہٕ چھُ یوان ۔

فَنا :۔ [مؤل: فَنا < ع: فنا ]۔ ختم (گرٛھُن)۔ نابوٗد (گرٛھُن) ۔۲۔ تباہ ۔

فَنا فی الله :۔ تصوُفس منٛز سُہ تھوٚ دمقام ییٚتھ سالِک چھُ خودالیس منٛز غرق گرٛھان ۔

فنا کرُن :۔ ختم کرُن ۔ نیستہٕ نابود کرُن ۔ پتہٕ کُن نہٕ باقٕے تھوٚن ۔ تباہ کرُن ۔

فنا گرٛھُن :۔ا۔ پتہٕ کُن نہٕ نشانہٕ تہِ باقٕے روزُن ۔ نیستہٕ نابود گرٛھُن ۔ تباہ گرٛھُن ۔۲۔ (کانٛسہِ ہندِس عشقس منٛز ) غرق سپدُن ۔

فنائی :۔ نہٕ روزٕ وُن ۔ نہٕ پوشہٕ وُن ۔

فَنٛد، فنٛد فریب :۔ [ن ۔مؤل: فنٛد < ف: فند]۔ دوکھ، دَغا، فریب، مکر ۔ ژھل، حیلہٕ ۔

فنٛدٕ ٹھپلہٕ :۔ ٹھباہٕ ۔ سُہ یاتہٕ تھ نہٕ کانٛہہ بُنۍ یادٕ آسہِ ۔

فنٛدٕ فنٛدٕ :۔ چالاکی سان ۔ دوکھ سان ۔

فَنٛد باز :۔ دوکھ باز ۔ مکار ۔ یُس اَتھہٕ ییٚٹھی تارِ ۔

فَنڈ کرُن:۔سوو کھڈِ ین۔مکاری کرِنۍ۔تارِنۍ۔ژھل کرُن۔

فَنڈ:۔ [ن۔مؤل: فند <اَنگ فنڈ Fund ]۔ا۔کُنہِ کامہِ باپتھ (بجٹس بیترِ منز) تھونہٕ آمتۍ رَقم۔ ۲۔چندٕ۔سُہ رقم یُس کُنہِ خاص مقصدٕ باپتھ سۆمبراونہٕ یِیہ۔

فَوقیت:۔ [<ع: فوقیۃ]۔ا۔دون چیزَن بیترِ پانہٕ وأنۍ مُقابلہٕ کُرتھ اَکِیُک زیادٕ جان آسُن، اَکِیُک سَرس آسُن۔۲۔ برتری۔

فول:۔ [ن۔مؤل: فول <اَنگ :فَول Foul] کھیلہِ منز قائدِ پھُٹراوُن۔

فَہم:۔ [مؤل: فَہم <ع: فَہم]۔ بوزٕ شوژ۔سمج۔عقل۔کتھ فکرِ ترٚنک مادٕ۔

فَیر (فائر):۔ [ن۔مؤل: فیر <اَنگ : فأیر:Fire] گۆلی چَلنُک صدا۔گولہٕ ہُند ٹاس۔

فَیر کرُن:۔گۆلی چلاوٕنۍ۔

فَیر برگیڈ:۔ [ن۔مؤل: فَیر برگیڈ <اَنگ : فایر برگیڈ Fire Brigade]سُہ سرکاری عملہٕ یُس نارٕ ژھیو راونس پٮ۪ٹھ آسان چھُ۔

فیاض:۔ [مؤل: فیاض <ع: فیاض]۔ دِلہٕ دۆتھ۔سخی۔ یُس کھُلہٕ دُلہٕ پأٹھی بأگرِ۔

فیأضی:۔ [<ع: فیاض+ف: ی] سخاوتھ۔دِلہٕ وَزھر۔

فَیل:۔ [م۔مؤل فَیل <اَنگ : فایل File] مِثل۔کُنہِ اَکِہ ماملکۍ یِکہٕ وَٹہٕ تھۆوِتھ کاغذ۔

فَین:۔ [ن۔مؤل: فَین <اَنگ ۔فایِن Fine ] جُرمانہٕ۔

فَیرِنگ:۔ [م۔مؤل :فیرنگ <انگ: فایرنگ ]۔ گۆلی چلاوٕنۍ۔

فَینل:۔[ن۔مؤل: فَینل <اَنگ : فاینل]۔ا۔ اۭخری۔پٔتیم (امتحان بیترِ) ۔۲۔کُنہِ کھیلہِ ہُند پٔتیم موٚنڈٕ۔

فَینل دِین:۔(کُنہِ دَرجُک) اۭخری امتحان دِین۔

فَینل گنٛڈُن:۔کُنہِ کھیلہِ ہُند اۭخری میچ گنٛڈُن۔

فاتحہ (فاتیٚح):۔ [ن۔مؤل: فاتیٚح / فاتِح <ع: فاتحہ]۔ ا۔ اِشارٕ پأٹھی سوٗرَے فاتحہ۔ اَلحمدُ شریف۔ ۲۔سُہ دُعا یُس مورِدٕ سٕندِ نجاتہٕ باپتھ پَرنہٕ چھُ یِوان تہٕ یَتھ منز اکہِ پھِرِ سوٗرَے فاتحہ تہٕ ترٛیہِ پھِرِ سوٗرَے اِخلاص پَرنہٕ چھُ یِوان۔ ۳۔اِشارٕ پأٹھی جُمعہ فاتیٚح۔

فاتحہ (فاتیٚح) پرُن:۔ (ورگہٕ) کُنہِ چیزٕ چ ووميد ترٛاوٕنۍ۔زانُن زِ یہِ گوٚو اَتھہ تَلہٕ۔

فاتحہ (فاتیٚح) خأنی:۔ا۔فاتیٚح پرُن ۲۔فاتیٚح پرنٕک رَسم،فاتیٚح پَرنٕچ تقریب۔

فاتحہ (فاتیٚح) سوزُن:۔مورِدٕ سٕندِ ناوٕ فاتیٚح پرُن۔

فاتحہ گراکھ:۔(مقبرس پٮ۪ٹھ گژھتھ) فاتحہ پرَن وألی۔

فاتیٚح:۔ [مؤل: فاتح <ع: فاتح ]۔ زیٚنن وول، فتح کرن وول، سُہ یٚمی جنگ بیترِ زیٚوٗنمت آسہِ۔

فارَس:۔ [ن۔مؤل: فارس <ف: فارس]۔ ایرانٕک

دوٚیِم ناو۔

فارَم ا: -[ن۔مؤل: فارم <انگ: فارمForm] سٕہ چھاپتھ کاکز وَرُق یَتھ پیٚٹھ خانہٕ پُرٕ کرنہٕ ییہِ۔مِ: وٗظیٖفُک فارَم، داخلُک فارَم

فارَم ۲: - [ن۔مؤل: فارم <انگ: فارم Farm]۔
ا۔ زِراتھ، خاص کٔرِتھ سٕہ زراتھ یُس نوٚمؤنہٕ ہاونہٕ باپتھ بناونہٕ آسہِ آمُت۔۲۔ سوجاے یِیتہٕ کوکر بیترِ نو پُطر پقومؤجؤب بڈراونہٕ ییٚن۔

فارمی گو گج: -گوگجن ہُنٛد اکھ خاص قسم یِتھ گوگجہِ وٕنیجِھ چھےٚ گژھان۔

فارِغ/ فارِغ: - [مؤل: فارغ/ فارغ <ع: فارِغ] سوٚکُل۔ یَلہٕ۔ یُس نہٕ آوٗر آسہِ۔

فارِغُل بال: - آسَن بَسَن وول۔ اوسوٗدِ حال۔ غمو فِکرورٲس۔ خوش تہٕ خوشحال۔

فارِغُل بٲلی: - اوسوٗدِ حٲلی۔ خوش حالی۔

فارِغُل حال: - وُچھِو ''فارِغُل بال''۔

فارِغ گژھُن: - کانٛہہ کام کٔرِتھ موکلُن۔ آزاد گژھُن۔ ذِمہٕ دٲری نِکھ واتُن۔

فارِن۔ فارِن: - [مؤل: فارِن <انگ: فارن Foreign] نیٚبر یِم۔ دوٗر مُلکُک۔مِ: فارِن مالَس پیٚٹھ چھےٚ یِیتہٕ سخ پابندی۔

فاربسٹ: - [ن۔مؤل: فاربسٹ <انگ: فاربسٹ Forest] وَن، جنگل۔

فاربسٹر: - جنگلَن نظر گذرتھوٚنہٕ یا رٲچھ راوٕتھ کرنہٕ باپتھ اکھ سرکٲری مُلازِم۔

فارِغ: -وُچھِو ''فارِغ''

فارخطی: -[م۔مؤل: فارخطی <ع: فارِغ: خط+ف: ی] موکجار۔ حسابچ بیباقی۔ شراکتُک تنسیخ۔

فارسی: - [م۔مؤل: فارسی <ف: فارسی]۔ ایرانکین لوٗکن ہنٛز زبان۔

فارسی خان: - فارسی زانن وول۔ یُس فارسی یوان آسہِ۔ فارسی دان

فارسی دان: - یُس فارسی زبان زانان آسہِ۔ یُس فارسی یوان آسہِ۔

فارسی وَنُن/ بوٗلُن: -ا۔ فارسی زبٲنۍ منٛز کتھ باتھ کرٕنۍ۔۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) تتھ زبٲنۍ منٛز کتھِ کرنہِ یوسہٕ دوٚیمِس فِکرِ تَرِ نہٕ۔

فارمؤلا: - [ن۔مؤل: فارمؤلا <انگ: فارمؤلا Formula]۔ کانٛہہ سوال بیترِ حل کرنُک طریقہٕ یا قٲیِد۔۲۔ کُنہٕ عملہٕ ہنٛز ژھومب، ترکیب۔

فارمیسی: - [م۔مؤل: فارمیسی <انگ: فارمیسی Pharmacy]۔ انگریزی دواخانہٕ۔ انگریزی دوا وان۔

فاسٹ: -[مؤل: فاسٹ <انگ: فاسٹ: fast]۔
ا۔ تیز۔ یتھ پکنس منٛز سبٹھاہ رفتار آسہِ۔ مِ: موٹراوس فاسٹ پکان تہٕ چھاونہٕ آو۔۲۔ تیوٚت

تیز رفتاریُس ٹریفکہ کِس قایَدن خلاف آسہٕ۔

فاش ا :-[مؤل: فاش < ف: فاش] ننبر۔ م: سِرٕس فاش گژھن۔

فاش سپدُن:- ننبر سپدُن، پردٕ وُتھن (کُنہِ سِرٕس بیتر)۔

فاش غلطی:- ویٚتھ غلطی۔ ثُنی پأٹھی غلطی۔

فاش کرُن:- ننبر کرُن۔ پردٕ تُلُن۔ م: سِرٕس فاش کرُن۔

فاش ا:-[مؤل: فاش < ع: فحش]۔ (ورگہِ پأٹھی) لکچہٕ۔ ناسزا۔

فاش پرُن:- لکچہٕ کڈُنہٕ۔ ناسزاونُن ۔۲۔ بدرَدونُن۔

فاطمہؓ:-[م۔مؤل: فاطمہؓ < ع: فاطمۃؓ]۔۱۔ آنحضرتﷺ ہنز صاحبزادِ ہُنٛد ناو۔ پأغمبرِ اسلامؐ ہنز کوٗریو سہ حضرتِ علیؓ یَس باءگنی آس آمژ تہٕ یَس اَتھہِ حضرتِ امام حسنؓ تہٕ امام حسینؓ آسی۔۲۔ مُسلمان زنانَن ہُنٛد اکھ ناو۔

فاقٕے:- کھیٚنہٕ چنہٕ روٚستے۔

فاقٕے تھوُن:- کینٛہہ تہٕ نہٕ ہیٚچھناوُن۔ (عِلم، کسب بیتر)

فاقہٕ:-[ن۔مؤل: فاق < ع: فاقۃ]۔۱۔ کینٛہہ نہٕ کھیوٚن۔ کینٛہہ کھیٚنہٕ چنے روزُن۔۲۔ فاقہٕ دِنٛگ دوہ۔ سُہ دوہ یلہِ کینٛہہ کھیوٚن چوٚن آسہِ نہٕ۔۳۔ وٕوپَس۔

فاقَن لگُن:- وٕوپس گژھن۔ یتھ پأٹھی ہیٚنہٕ یِن یُتھ کینٛہہ کھیوٚن کیُت بنہِ نہٕ۔ کینٛہہ کھیٚنہٕ چنہٕ روس روزُن پیوٚن۔

فاقہٕ بتہٕ:- ڈٕہم ہُنٛد بتہٕ یُس فاقہٕ دوہہ بنہٕ اَکہِ ڈُنگہِ کھوان چھہِ۔ شرٕ وژِ شرٕ انہٕ وَننہٕ آمُت بتہٕ۔

فاقہٕ پھٹرِ:- فاقٕے۔ ژھری میادٕ۔

فاقہٕ تھوُن:- روزٕ تھونہٕ۔

فاقہٕ دَرُن:- رَسمہٕ پأٹھی کُنہِ دوہہٕ فاقہٕ روزُن۔

فاقہٕ دیُن:-۱۔ کینٛہہ تہٕ نہٕ کھیوٚن چوٚن۔ فاقٕے روزُن۔۲۔ فاقہٕ دِنٛگ رَسم پالُن فاقہٕ دَرُن۔

فاقہٕ ژھوکھ:- فاقہٕ دِی دِی لوٚگمُت تاو۔ (ورگہِ پأٹھی) کمزوٗری۔

فاقہٕ فقرٕ:- وُچھو "فاقہٕ پھٹرِ"۔

فاقہٕ کشی:- وٕوپَس۔ کھیٚن نہٕ میلُن۔ فاقہٕ دِی دِی دوہ کڈُن۔

فاقہٕ کشی کرِنی:- فاقٕے روزُن پیوٚن۔ کینٛہہ نہٕ کھیوٚن۔

فاقہٕ مرُن:- کنٛژھ کُرِتھ فاقہٕ لگُن۔ فاقہٕ لگنہٕ سٟتی تکلیف تُلُن۔ بوچھہِ دادِ مرُن۔ وٕوپس لگُن۔

فاقہٕ ہوٚت:- فاقٕے۔ فاقہٕ پھٹرِ۔

فال:- [ن۔مؤل: فال < ع: فال]۔ شوٗگوٗن۔ زَنہٕ وان بیتر۔

فالِ بد:- بَد شوٗگوٗن۔

فالِ نیک:- رُت شوٗگوٗن۔

فال نیرُن:- فالنامہٕ منٛز یا یَتھ فال وُچھرِ، تمہٕ منٛز کُنہِ قسمُک شوٗگوٗن نیرُن۔

فال وُچھُن:- (کُنہِ کتابہٕ بیترٕ وُچھِتھ) شوٗگوٗن بوزُن۔

فالِج، فالجہٕ:- [ن۔مؤل: فالج < ع: فالج]۔ اکہِ

بمارِ ہُند ناو، جسمہٕ کُس یَتھ تانس اَمیُک اَثر کرِ سہ چھُ رُوٗزِتھ گژھان۔ وَج، حرکتھ۔ لقوٕ۔

فالِج کرُن:- حرکتھ گژھنۍ۔ لقوٕ گژھُن، وَج کرُن۔

فالِجہٕ لد:- یُس وَج آسہٕ گومُت۔

فان:- [ن۔ مؤل: فان < ع: فان]۔ تباہی۔ ڈُبہٕ ڈاس۔ وٲرٲنی۔

فان سَپدُن:- پھُٹنۍ پھا کھ گژھُن۔ کھنۍ نہٕ روزُن۔ تباہ گژھُن۔

فان کرُن:- ڈُبہٕ ڈاس کرُن۔

فان گژھُن:- وٲرٲنی گژھنۍ، تباہی سپدٕنۍ۔

فِتیٖلہٕ:- [ن۔ مؤل: فتیل < ع: فتیلۃ]۔ ۱۔ سوٕ یتھ۔ سوٕ ئژٕ ہندی پاٹھۍ کانٛہہ چیز وٕٹتھ یا وُٹھتھ۔
۲۔ سہٕ تاوِیز یُس زالان چھِ (کھوژُن بیترِ ژٕلراونہٕ موکھٕ)

فریضہٕ:- [ن۔ مؤل: فریض < ع: فریضۃ]۔ خودایہٕ سنٛدِ طرفہٕ تسنٛد بن ہنٛد بن بندن پیٹھ حُکم۔

فریق:- [ن۔ مؤل: فریق < ع: فریق]۔ کُنہٕ مُقدمُک یا داوٕ ہُک اَکھ دوٗر، جماتھ۔

فری یاد:- [ن۔ مؤل: فری یاد < ف: فریاد]۔ بارو۔ ظُلمچ جبرٕچ یا کُنہٕ تکلیفچ شکایتھ پننہٕ گُدرُنک واویلا۔

فری یاد بوزُن:- کانٛسہٕ دادرٕسی کرٕنۍ۔ کانٛسہٕ ہُند بُٹھ گدرُن بوزُن۔ بارون کن تھاوُن۔

فری یاد کرُن:- بارو دِنۍ۔ ظُلمچ یا جبرٕچ شکایتھ کرٕنۍ۔ پننہٕ بُٹھُک گُدرُنک واویلا کرُن۔

فری یادی:- [مؤل: فری یادی < ف: فریادی]۔ یُس فری یاد کرِ۔ یُس ظُلمچ جبرٕچ شکایتھ ہیتھ ییہِ۔

فری یادی گژھُن:- بارو دِنہٕ گژھُن۔ شکایتھ کرنہٕ گژھُن۔ دادبیدادٕ ونہٕ گژھُن۔

فرم:- [م۔ مؤل: فرم < انگ: فرم Firm] کُنہٕ بایارٕ یا کاربارٕ باپتھ کانٛہہ تنظیم یتھ وارِیاہ شریکھ آسن۔

فسٹ:- [مؤل: فسٹ < انگ: فسٹ First] اول۔ نمبر اَکھ۔

فسٹ کلاس:- [ن۔ مؤل: فسٹ کلاس < انگ: فسٹ کلاس First class]۔ ۱۔ ساری نِشہٕ کھٔسِتھ۔ گوڈنیُک درجہ یا گوڈنکہٕ تہٕ تھدِ درجُک۔
۲۔ جان۔ زبر۔ رُت۔ مِ: یہ کپُر چھُ فسٹ کلاس۔

فصیح:- [مؤل: فصیح < ع: فصیح]۔ رواَنی تہٕ مچھرِ سان۔

فضیحت، فضیحتھ:- [م۔ مؤل: فضیحت < ع: فضیحۃ]۔ اُڈزاُڈ۔ پاسرِ نہٕ۔ بوآری۔

فضیحت کرٕنۍ:- اُڈزاُڈ کرٕنۍ۔ پاسرِ نہٕ۔ بوآری کرٕنۍ۔

فضیلتھ:- [م۔ مؤل: فضیلت < ع: فضیلۃ]۔ بجر۔ تھزر۔ روتبہٕ۔ مرتبہٕ۔ بزرگی۔

فِقرٲنی:- ۱۔ بچھِ وِنۍ۔ یوسہٕ بچھان آسہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) بےٚ ڈطیرٕ۔ شکس لدٕنۍ۔

فِقرُت:- [ن۔ مؤل: فقرت < ع: فقر]۔ ۱۔ فقیری۔ غریبی۔ بچھگی۔ ۲۔ فقیرٕ طریقہٕ۔ فقیرٕ صفتھ۔ دَرویشی۔

فَقیٖر:- [ن۔مؤل: فَقیٖر <ع: فقیر ]۔ا۔ نٟید یوٗر۔ غریب ۔۲۔ دَرویش ۔خوداروس۔۳۔ بچھِ۔ بچھوٗن ۔۴۔(ہزلیہ) کمینہٕ۔کم پایہ۔ شکس لَد۔

فَقیٖر ژاوآنگن تہٕ ہوٗنس وٚتھ لٟچہ دود:- تہٕ ڈٕپتھ گوٚونہٕ کانٛسہِ جأنی سَپدِنس یا فأیِد واتنس پٔتھ بٔڈ تَرٛ ووتھٕن۔

فَقیٖر صِفَتھ:-ا۔ تنگ نظر۔کمینہٕ۔۲۔ بچھِ پژٕ کرتھ۔ شِکس ڈٕنٛڈ۔ اَزروٗن۔

فَقیٖری:- [م۔مؤل: فَقیٖری <ع: فقیر+ف: ی]۔ ا۔غریبی۔تنگدٔستی۔موٚحتأجی۔۲۔ دَرویٖش۔ دَرویشن ہُنٛد طور طریقہٕ۔

فأتر:-[مؤل:فأتر <ع: فاتر۔فترکتہ]۔یَس دِماغس خَلَل آسہِ۔یَس نہٕ کأنٛڈٕ صحی آسَن۔کم عقل۔چور۔

فأتر اَزی:-فأترگی۔کم عقلی۔

فأترگی:-وُچھو"فأتر اَزی"۔

فأشَن۔فیشَن:- [ن۔مؤل: فأشَن <اَنگ : فیشن Fashion]۔ا۔رٕوِش۔چلَن۔(کُنہِ کتھِ ہُنٛد یا پلوٗک،پوشاکُک)۔رِواج۔۲۔سازِیا،گٔنٛڈتھ۔

فأشنی:- فأشَن کرَن وول۔

فأصلی:-[<ع: فیصلۃ ]۔فأصلہٕ کرَن وول۔ کانٛہہ نٟیاے اَنٛزراوَن وول۔

فأصلہٕ۱:-[ن۔مؤل:فأصل <ع: فاصلۃ]۔اکہِ جایہِ پٔتھٕ بیٚیس جایہِ تام مٔنٛز یا دوٗربر۔م: بیٚیتہٕ پٔتھٕ

جوٚم تام چھُ سبٹھاہ فأصلہٕ۔

فأصلہٕ۲:- [ن۔مؤل: فأصل <ع: فیصلۃ ]۔ کُنہِ تنازُک حَل۔تصفیہ۔نٟیاے اَنٛزرَن۔

فأصلہٕ دِیُن:-ا۔کُنہِ نٟیایَس بیتر مُتلق عدالتٕک حُکم نیرُن یا بوزناوُن۔۲۔نٟیاے اَنٛزراوُن۔

فأصلہٕ کرُن:- کانٛہہ مامِلہٕ طے کرُن۔ کانٛہہ نٟیاے اَنٛزرُن۔

فأصلہٕ کُن:-تہٕ یمیٚہ سٟتۍ ہوریا یوراَخری فأصلہٕ گژھِ۔

فأض:- [ن۔مؤل: فأض <ع: فیض ]۔فأیِد۔ لاب۔نفع

فأضِل:- [مؤل: فأضِل <ع: فاضِل ]۔ہُر یمانہٕ۔ زیادٕ۔گٔنٛڈتھ تیداس یارقمس ہُر۔علاوٕ۔۲۔عالِم، پوٚر مُت لیُکھمُت۔

فأعِل:-[مؤل:فأعِل <ع: فاعِل]۔(گرٛیمرِ موٚجوٗب) کأم کرَن وول۔یُس نٕزِ دُس (کینٛہہ) کأم یِیہ۔

فأنی:-[مؤل:فأنی <ع:فان]۔یہِ فنا سپدُن آسہِ،نشہِ وُن آسہِ۔نہٕ روزَن وول۔اَسار۔ناپایدار۔

فأنی سرٲے:-ا۔(ورگیہ) دُنیا یا نہٕ روزٕ وُن۔

فأیِد:- [ن۔مؤل: فأیِد <ع: فائدۃ] نفع۔ لاب۔ یہ کُنہِ زٕہنٛزٕ۔

فأیِد مَنٛد:- [مؤل: فأیِد مند <ع: فایدۃ+ف۔ مَنٛد ]۔فأیِد دِنہٕ وول۔یمیٚہ سٟتۍ فأیِد واتہِ۔ یتھ جان تہٕ رٕتۍ نٟتیجٕ نیرَن۔

فِتنی :- فِتنہٕ کرن وول۔ فساد تُلُن وول۔

فِتنہٕ :- [ن ۔ مؤل: فِتن <ع: فتنۃ] ۔ ا۔ ہنگامہٕ ۔ فساد۔ نیٚاے ۔ ۲۔ فسأدی ۔ پھچٕل۔

فِتنہٕ تُلُن :- فساد تُلُن ۔ ہنگامہٕ تُلُن یا کرُن۔ نیٚاے زوٗ ورُن۔

فِتنہٕ گر :- فِتنہٕ تُلَن وول۔ فسأدی ، یُس شوٗرِش پھاُلاوِ۔

فِتنہٕ وۄتھُن :- جنگرٕ وۄتھُن ۔ نیٚاے وۄتھُن۔

فِٹ :- [مؤل: فِٹ <اَنگ : فٹ Fit] ۔ ا۔ میٚژِ س برابر۔ میٚژِ مؤجوٗب آسُن ۔ م، میأنۍ قمیض چھیۍ ژیٚنتہٕ فِٹ ۔ ۲۔ لایق ، قأبل ، مُستحق ۔ م: سیوٗ د اُستھ تہٕ کوٗر اُمۍ اَتھ عوہدس لایق پٔژُن پان فِٹ ثأبتھ ۔ ۳۔ لگہٕ ہار۔

فِٹر :- [مؤل: فِٹر <اَنگ: فِٹر: Fitter] مِستری ۔ مشینہٕ بیترِ شیرٕن وول۔

فِٹَن :- [ن ۔ مؤل: فِٹن <اَنگ : فِٹن: Phaeton] اکھ خاص قسمٕچ گاڑی یوسہٕ پیٚٹھ بیٚلے آسان چھےٚ۔

فِٹِنگ :- [<اَنگ: فِٹنگ Fitting] ۔ میٚژِ مؤجوٗب بَناوُن یا لاگُن۔

فِدا :- [مؤل: فِدا <ع: فدا] ۔ وُنٛدِ تھ ۔ فریفتہٕ ۔ نثار۔

فِدأیی :- [مؤل: فِدأے <ع: فِدا / ف: فِدایی] ۔ عاشق ۔ فریفتہٕ ۔ کأنسہِ پیٚٹھ زُو دِنہٕ وول۔

فِدوی :- [مؤل: فِدوی <ع: فدوی] ۔ بَنٛدٕ۔

فِرار :- [مؤل: فرار <ف: فرار] ۔ ژوٗلمُت ۔ بے پناہ تھونہِ پنٛژ جاے ترأوِتھ گوٗمُت۔

فِرار گژھُن :- ژٔلُن ژھیپھ دِنۍ ۔ روپوش گژھُن۔

فِرأری :- دَربدٔری۔

فِراق :- [ن ۔ مؤل: فراق <ع: فراق] ۔ ہیٚنٛر ، ژھلبن ، جُدأیی ، علاحِدگی۔

فِراق تھوٗن :- ارمان تھوٗن ۔ اَبلاش تھوٗن۔ دِلچ کتھ نہٕ باونہٕ دِنۍ ۔ م:

فِراق تھأوِتھ گوٚمے گوپألی
لاگِس سونہٕ کنہٕ وأکی یے

فِراق روزُن :- تمنا روزُن ۔ اَرمان روزُن اَبلاش روزُن ۔ پٔژُن وونٛد باونس نہٕ وَتھ ہیٚکُن۔

فِراک :- [ن ۔ مؤل: فراک <اَنگ : فڑاک ۔ Frock] ۔ اکھ خاص کپٕٹنہٕ ہُند سوٗتھ ہٕلکو یُس زنانہٕ تہٕ کوریلاگان چھےٚ۔

فِرأری :- [مؤل: فِرأری <ف: فِراری] ۔ ا۔ ژوٗلِتھ ژٔلُن وول۔ ۲۔ رفہٕ تبأے ۔ یُس نہٕ اَکِس جایہٕ سوکھ آسہٕ ۔ دَربدٔری۔

فِرشتہٕ :- [ن ۔ مؤل: فِرشت <ف: فرشتہ] ۔ ملأیکھ۔ اَسمانس پیٚٹھ روزَن واجیٚنۍ سۄ مخلوق یوسہٕ مُسلمانَن ہُندِ عقیدٕ مؤجوٗب نوٗرس پیٚٹھ پأدٕ سپز ہٕژ چھےٚ تہٕ عام پأٹھی بوزنہٕ چھنہٕ یِوان ۔ ۲۔ اَصیٖل۔

فِرِنی :- [م ۔ مؤل: فِرِنی <ف: فِرنی] ۔ اکھ قسمُک کھیٖر یُس سؤجہِ یا توملہٕ اَٹُس بیترِ بناوان چھہٕ۔

فِر ہنجِہ:- [ن۔مۄل: فِرینج < اَنگ : فرنج]۔ اَنژُل۔ زٲلی دار حاشیہِ۔

فِریب:- [ن۔مۄل: فریب < ف: فریب]۔ فَنٛد۔ دوکھ۔ دَغا۔ بےٚ ایمٲنی۔

فریبس منٛز یِن:- دوکھس منٛز پھَسُن۔ دوکھ کھیٚون۔

فِریب دِین:- ۱۔ دوکھ دِنُن۔ فَنٛد کرُن۔ تارُن۔ ۲۔ وَرغلاوُن۔

فِریب کرُن:- ژھل کرُن۔ دوکھ کرُن۔ فَنٛد کرُن۔ دَغا کرُن۔

فریفتہٕ:- [مۄل: فریفت < ف: فریفتہ] عاشق۔ محبتھ کرن وول۔ یُس کٲنٛسہِ پتھ دِل آسہِ لۄگمت۔

فِردوس:- [ن۔مۄل: فردوس < ع: فردوس] جنت۔ بہشت۔ سورِگ۔

فِرعَون:- [< ع: فرعون]۔ ۱۔ پتھ کالہِ کِمن مصرٕ کِمن پادشاہن ہُنٛد لقب۔ ۲۔ ڈِکٹیٹرُس پانہٕ یَختیارٕ آسہِ تہٕ کٲنٛسہِ ہُنٛد بوزِنہٕ۔ ۳۔ سَخ رکبری۔

فِرقہٕ:- [ن۔مۄل: فِرق < ع: فرقۃ]۔ کُنہِ خاص قبیلکۍ یا عقیدٕ کۍ لۄکھ۔ سو لۄکہٕ چھوکھ یوس کُنہِ خاص عقیدس پیٹھ پَنٛدٕ آسہِ تھوان۔

فِرقہٕ پرست:- کُنہِ خاص فِرقس سٟتۍ رۄزِتھ بیٚیس عقیدس یا فِرقس سٟتۍ توصُب وَرتاوَن وول۔ توصُبی۔

فِرقہٕ پرستی:- کُنہِ اَکِس فِرقس لور آسنہٕ کِنۍ توصُب وَرتاوُن۔

فرقہٕ وارانہٕ:- فرقہٕ حسابہٕ۔ بیٚون بیٚون فرقو مۄجوٗب۔

فِسقہٕ فۄجوٗر:- [ن۔مۄل: فِسقہٕ فۄجوٗر < ع: فِسق + فجور] زِناکٲری۔ بَدحَرکژ۔ بَدکٲری۔

فِضا:- [ن۔مۄل: فِضا < ع: فضا]۔ گوش۔ کھُلہٕ ڈُلہٕ جاے تہٕ تَمیُک نظارٕ۔ دِلس خوش کرِونۍ جاے تہٕ تَمیُک اۄنٛدپۄک۔

فِطرتھ:- [م۔مۄل: فِطرت < ع: فطرۃ]۔ خصلتھ، سوباو۔ خمیر۔ پرٛکرتھ۔

فِطری:- [ن۔مۄل: فطری < ع: فطرۃ + ف: ی] قودرتی۔ بذاتی۔

فِقرٕ/فِسقرٕ:- [ن۔مۄل: فقر < ع: فقرۃ]۔ جُملہٕ یا جُملُک کانٛہہ حصہٕ۔

فِکر:- [م۔مۄل: فِکر < ع: فِکر] پریشٲنی۔ غم۔

فِکرِ پیٚنۍ:- غم پیٚون۔ پریشٲنی گژھٕنۍ۔

فِکرِ لگٕنۍ:- کٲنٛسہِ یا کُنہِ متعلق غم پیٚون ژُتس یا تتھ کیا سپُد۔ غم پیٚون۔

فِکر منٛد:- یُس فِکر آسہِ۔ غمن اَندر ہیٚنہٕ آمُت۔ بےٚ قرار۔

فِکرن گژھُن:- سَخ سوچُن۔ پریشٲنی پیٚنہٕ کِنۍ سَخ فِکرِ لگٕنۍ۔ غمن منٛز بۄڈِتھ گژھُن۔

فِکرِنہٕ کھسُن:- آنٛٹہٕ نہٕ کھسُن۔ وبُژن نہٕ۔ ہَٹہٕ نہٕ وَسُن۔

فِلم:- [م۔مۄل: فِلم < اَنگ: فِلم Film]۔ ۱۔ کیمیٲیی

طرٕ پقو پرٔت کھأرِتھ سُلو لایڈٕ چ اَکھ رٟل ہش یتھ پٔٹھ کیمرہ ستؠ کنٹیک عکس رٹان چھِ۔۲۔سو کتھ یاڈلیل یوسہٕ (سنیما) پردس پٔٹھ تصویرِ و ژری یہٕ ہاونہٕ ییہٕ۔

فِلبدٖی:- [ع: فی البدیہہ]۔وُچھان وُچھان۔اَمی ساتہٕ۔ یکدم۔فورٕن۔اُتی۔ بروٗنٹھے سوٗنچتھ تھونہٕ کرنہٕ روٗس (یہٕ وَننہٕ یا کرنہٕ ییہٕ)۔

فِلٹر:- [ن۔مؤل: فِلٹر < اَنگ: فِلٹر: Filter]۔ ا۔اَکھ آلہٕ یمہٕ مَنزٕ پوٚنی بیترِ چھاننہٕ یوان چھُ۔ سُہ چیز یمہٕ مَنزٕ ترٕل دٕہہٕ مادٕ چھاننہٕ ییہٕ۔

فِلحال:-[ع: فی الحال]۔تامتھ،تانی،سرِ دس۔

فِلفور:-فورٕن۔جلد۔یکدم۔

فِلمی:-فلمہٕ ہُنٛد۔یتھ فلمہٕ ستؠ تولق آسہٕ۔وُچھو "فِلم" تہٕ۔

فِنایل:- [م۔مؤل: فنایل < اَنگ: فنیل Phenyl] کیمؠ کرٕیل مارنک اَکھ دوا۔

فِنجان:- [ن۔مؤل: فِنجان < ع: فِنجان] اَکہِ قسمُک تھپہٕ روٗس لوکُٹ پیالہٕ۔

فِہرس،فِہرست:-[ن۔مؤل: فِہرس < ف: فِہرست] سُہ کاکد وَرق یتھ پٔٹھ لوٗکن یا چیزن ہندی ناو ترتیب وار لیکھتھ آسَن۔

فی اِ:- [ع: ف]۔ا۔ پرٔتھ اَکھ۔پرٔتھ کانٛہہ پرٔتھ کینٛہہ۔۲۔(کانٛسہٕ ہنٛدِ) ناوِ،خاطرٕ۔

فی امان اللہ:-خوداِیس حوالہٕ۔حوالہٕ خودا۔

فی سبیل اللہ:-خودایہٕ سنٛز وَتہِ۔خودایہٕ ہنٛدِ خاطرٕ۔ دَیہٕ ناوِ۔

فی صد:-ہتَس پتھ۔شتہٕ حسابہٕ۔

فی صدی:- [ع: فی + ف: صدی]۔ہتہٕ پتھ۔ اَکس ہتَس پٔٹھ۔م۔وُریَس کھسی ژٕ تزٕے فی صدی حسابہٕ ساسَس روپیَس ترٕہ روپیہٕ سوٗد۔

فی کس:-اَکی اَکی ہنٛدِ حسابہٕ۔اَکس اَکس۔

فیٖ ۲:- [ن۔مؤل: فی < ع: فی]۔پھیرِ حساب بوزنس منٛز فرق۔شک۔

فی پیوٚن:-پھیرِ گژھن۔فرق پادٕ گژھنۍ۔

فی تژ اوٗن:-شک پادٕ کرُن۔

فیتہٕ:-[ن۔مؤل:فیت < ع: فیتہٕ]۔ا۔ریشمس یا تھرس بنأوِمژ اَکہِ خاص قسمٕچ ریٖل ہش۔۲۔دَچہِ گز۔سو زٕ ہتھ کپُر ریٖل یتھ آنٛچہٕ وادنشانہٕ دِتھ چھِ آسان تہٕ یمہٕ ستؠ یِژٕ پأٹھی کپُر بیترِ مینان چھِ۔۳۔تسمہٕ (بوٗٹس گنڈنک)۔

فیس:- [ن۔مؤل: فیس < اَنگ: فی Fee ]۔ ا۔محنتانہٕ۔موٗزوٗرۍ۔ ماوضہٕ۔۲۔ژاتہٕ شُرٕ ہن پرناوٕ وٕنی یوسہٕ تم سوٗ کولس دِوان چھِ۔۳۔تمہٕ ہارٕ یمہٕ کانٛسہٕ کاَسبَس یا ڈاکٹرس بیترِ تسنٛزِ خدمژ بدل دِنہٕ ین۔

فیل:-[ن۔مؤل: فیل < ف: فیل (پیل) شطرنٛجہِ کہِ اَکہِ موٚہرٕک ناو۔

فیلہٕ مات:- شَطرنجس منز بادشاہس فیلہٕ سٟتۍ مات یا شکست۔

فیلڈ:- [ن۔مؤل: فیلڈ <اَنگ : فیلڈ۔ Field] کھیلہٕ بیترِ ہُند مٲدان۔

فیلڈِنگ:- [م۔مؤل: فیلڈنگ <انگ : فیلڈنگ : Fielding] کرکٹ گِنٛدنس منز بال رُکاوُنچ کٲم۔

فِلیگ:- [ن۔مؤل: فلیگ <اَنگ: فلیگ Flag]۔ ا۔جَنٛڈ۔ جینٛڈۍ۔ ۲۔ کاکدٕ و یا دَجہِ بیترِ ہنٛز سو نِشانی یوسہٕ کتابہٕ یا مِثلہٕ بیتر اکہِ اَنٛدٕ رٲژھانٛۍ آسان چھےٚ۔ یُتھ کانٛہہ خاص صَفحہٕ ژٕلی وُلی کڈنہٕ یِیہٕ۔

فتوا۔(فَتوىٰ):- [ن۔مؤل: فتوا <ع: فَتوىٰ]۔ کُنہِ مامٕلس پیٹھ شرع مؤجوٗب مُفتی سُند فٲصلہٕ۔

فتوا دیُن:- کانٛہہ مامٕلہٕ شرع مؤجوٗب اُنزراوُن۔ کُنہِ جگرس بیترِ پیٹھ شرع کِہ اوصوٗلو مؤجوٗب فٲصِلہٕ دیُن۔[جاری کرُن، ہیوٗن بیترِ پاٹھۍ ؤننہٕ یوان]۔

فُٹ:- [ن۔مؤل: فُٹ <اَنگ: فُٹ۔ Foot]۔ باہ انٛچہِ۔ گزُک ترٛیِیم حصہٕ۔ زیٖچھر مینہٕ نٕک باہَن انٛچَن ہُند اکھ میٖنہٕ۔

فُٹہٕ گز:- سُہ گز یَتھ فُٹہٕ وار نشانہٕ آسَن۔

فُٹوار:- فُٹہٕ حسابہٕ میٖنہٕ۔

فُٹ بال:- [م۔مؤل: فُٹ بال <اَنگ: فُٹ بال Foot ball]۔ سو بُڈ بال یتھ کھورٕ وسٟتۍ ٹھلن گِنٛدان چھِ۔ اَتھ چھُ نیٖبرٕ کۍ ربڑُ دخول تہٕ اَندرٕ بیٛا کھ ربڑی بال آسان یتھ ہوا بَرنہٕ یوان چھُ۔

فُٹ پاتھ:- [ن۔مؤل: فُٹ پاتھ <اَنگ: فُٹ پاتھ Footpath]۔ سڑکہِ دٕچھنِ کھوٚورِ کۍ وٕہٕ کھلی پکن والین ہِنٛدِ باپتھ بناوٕنہٕ آمٕژ وَتھ۔

فُٹ نوٹ:- [ن۔مؤل: فُٹ نوٹ <اَنگ: فٹ نوٹ Foot Note]۔ کتابہِ ہِنٛدِس بُنٛہِ مس حاشیس پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ شرَح۔

فُرات:- [ن۔مؤل: فُرات <ع: فُرات]۔ کوفہٕ چہِ اکہِ کولہٕ ہُند ناو یوسہٕ کربلا (مٲدانہٕ) کِنۍ وَسان اُس۔

فُرٛؤعی، فوٗرٛؤیی:- [ن۔مؤل: فرٛؤعی <ف: فروعی] ا۔ پیٛٹھۍ وأنۍ، آمدنی علاوٕ۔ فالتوٗ۔ مِ: تنخاہ علاوٕ گۆژھِ کینٛہہ فرٛؤعی تہٕ بٕنٛن۔ ۳۔ فوٗضوٗل نالگہٕ ہار۔ مِ: فرٛؤعی انسانن ہِنٛدِ خاطرٕ چھنہٕ بیٚتہٕ کانٛہہ جاے۔

فُرصَتھ:- [م۔مؤل: فُرصت <ع: فُرصۃ]۔ ا۔ موکُل۔ فراغتھ۔ ۲۔ موٗہلتھ۔

فُرصَتھ آسٕنۍ:- موکجار آسُن۔ آوٕریرنہٕ آسُن۔ موکَل آسٕنۍ۔ جلدی نہٕ آسٕنۍ۔

فُرصَتھ تہٕ فراغتھ آسٕنۍ:- کُنہِ رَنٛگہٕ کانٛہہ پریشانی نہٕ آسٕنۍ۔ کانٛہہ فِکر زِ کرنہٕ آسٕنۍ۔

فُرصَتھ دِنۍ:- موکَل دِنۍ۔ ژٕرارُن۔ موقہٕ دیُن۔ موہلتھ دِنۍ۔

فُرصَتھ کڈٕنۍ:- ژٕرارُن۔ ژٕنڈ کرٕنۍ۔

فُرصَتھ سان بٕہُن:- کٲم اَنٛدٕ واتنٲوِتھ فراغتھ سان بٕہُن۔

فُرقان:-[ن۔مؤل:فُرقان<ع:فُرقان]۔کلامُ اللہ۔ قرآنِ مجید۔

فلُؤ:-[ن۔مؤل:فلُؤ<اَنگ:فلُو Flu(influenza)]۔ نزلہٕ تَپ۔

فلُوس:- [ن۔مؤل: فلُوس]۔ اَکھِ دۆہک ناوِیُس جولابَس لگان چھُ۔

فوٗ جی:-[<ع:فوج+فِ:ی]۔فوجُک سِپاہ یا بیٚیہِ کانٛہہ عوہدٕ دار بیتر۔جنگی۔مِلٹری وول۔فوجُک یا بیٚیہِ کینٛژھاہ فوجہِ کامہِ لگان آسہِ۔م:فوٗ جی گاڑی۔

فِتوٗ ر:- [ن۔مؤل: فِتوٗ ر<ع: فتور]۔ا۔ دِماغک خَلل۔۲۔کِبر۔۳۔بَد رایہِ۔

فِتوٗ روٗ تھُن:-بَد رایہِ ووتھنہِ۔

فِتوٗ ری:- یُس دِماغَس خَلل آسہِ۔یُس نہٕ کانٛہہ سیٚوٗ د آسَن۔

فضوٗ ل:- [مؤل: فضوٗ ل <ع: فضول ]۔ ا۔ بےٚ فأیِد۔یَتھ نہٕ کانٛہہ لاب آسہِ۔یِہ نہٕ کُنہِ لگِہ۔ ۲۔غأرضوٗروٗ ری۔فالتو۔

فضوٗ ل خرٕچ:-پأنٛسہٕ ژُونک اُچھرانہِ تِچھرانہِ کرن وول۔بےٚ فأیِد پأنٛٹھ روپے پأنٛسہٕ خرٕچ کرن وول۔یُس بوٗزٕ شوٗژِ سان خرٕچ آسہٕ نہٕ کران۔

فضوٗ لِ خرچی:- پأنٛسہٕ ژُونک اُچھرانہِ تِچھرانہِ کرُن۔بےٚ شوٗ نک پأنٛٹھ پأنٛسہٕ ضایہٕ کرُن۔

فنوٗ نِ لطیفہٕ:- [مؤل: فنوٗ نِ لطیف <ع: فنونِ لطیف ]۔ تِم فَن یِمن اندر جذباتن تہٕ اِحساسا تن ہُنٛد مؤثِیل اِظہار آسان چھُ۔

فوٹوٗ۔فوٹوٗ گرٛاف:- [ن۔مؤل: فوٹوٗ <اَنگ : فوٹو Photo]۔کیمرہٕ سِتۍ تُلمُت تصویر۔

فوٹوٗ تُلُن:- کیمرہٕ سِتۍ تصویر بناوُن۔

فوٹوٗ گرٛافر:- [مؤل: فوٹوٗ گرٛافر <اَنگ : فوٹو گرافر Photographer] ۔سُہ یُسنٛد پیشہٕ کیمرہٕ سِتۍ فوٹوٗ تُلٕنۍ آسہِ۔

فوج:-[ن۔مؤل:فوج<ع:فوج]۔مُلکُک ہتھ یا ربٛند مُلأزِم یِہنٛز کام مُلک دُشمنس نِشہِ بچاوُن یا تہٕ حِفاظتھ کرٕنۍ آسان چھےٚ۔لشکر۔مِلٹری۔

فوج کَشی کرٕنۍ:- فوج ہیتھ حملہٕ کرُن۔فوجکہِ مَدتہٕ سِتۍ کانٛہہ جاے زیٚنٛنچ کوٗشِش کرٕنۍ۔

فوجدأری:- ا۔سوٗ عدالتھ یۄسہٕ لڑاین جگرن تہٕ قتلہٕ بیتر مُقدمَن فأصلہٕ دِوان چھےٚ۔اَتھ عدالتَس منٛز چھِنہٕ دیوأنی مُقدمہٕ بوزان۔۲۔لڑأے جگرٕ۔ مارٕ مارتہٕ لایہِ لاے۔

فورَن:-[<ع:فوراً]۔جَلد۔یکدم۔ژٕلی ژٕلی،ژوٗترٕ ژوٗتر۔

فولاد:-[ن۔مؤل:فولاد<ف:فولاد]۔ا۔اَکہِ قسمُک کموومُت سَخ تہٕ صاف شُسٕتر۔۲۔وِرگہِ دوٗر، سَخ،یِہ سہل سہل پھُٹہِ نہٕ یا یُس نہٕ پۄشِتھ ہیٚکہِ زِ۔

فولؤ د:- [مؤل: فولؤ د <ف: فالوده]۔اَکہِ قسمُک مایہِ یُس بیمارس دِوان چھِ۔توٗن وِگرٕ۔

فون:- [ن۔مؤل: فون < اَنگ : فون Phone]
ٹیلی فون۔ اکھ خاص آلہٕ یمہٕ مَنزِ تارِ ذٔریہِ
اَکھ اَکِس ستۍ (نکھہٕ نہ آسنہٕ کِنۍ) کتھ باتھ
کران چھِ۔

فونوٗس:- [ن۔مؤل: فونوٗس < ع: فانوس]۔ اکہِ
قسمُک شمع دان یتھ اَندۍ اَندۍ توٗن کپُر یا ہَر یِہ
کاکدٕ لَتھ ہیوٚ چھُ آسان۔

فورمان:- [ن۔مؤل: فورمان < ف: فرمان]۔
ا۔ بادشاہ سُند یا مُلکہٕ کِس زِٹھی سُند تحریری حُکم۔
اعلان۔ م، شاہی فورمان۔ ۲۔ ورگہ پاٹھۍ تتھ تہٕ
ونان یہ کینژھا کانٛہہ زیٹھ وَنہِ۔ بڑٕ سُند دوٚپ۔

فورمان بَردار:- مانَن زانَن وول۔ تابع دار۔

فورمان بردأری:- مانَن زانَن۔ تابع دأری۔

فورمأیِش:- [م۔مؤل: فورمأیِش < ف: فرمائش]۔
حُکمہٕ پأٹھۍ کانٛسہِ کینہہ منگُن یا کانٛسہِ کانٛہہ کأم
کرنٕ وَنُن۔

فورمأیِش آسنۍ:- منگ آسنۍ۔ کانٛہہ سودا ہیٚنہٕ باپتھ
کانٛسہِ ہُند دوٚپ یا حُکم آسُن۔

فورمأیِش کرنۍ:- کانٛہہ خاص چیز منگُن یا منگناوُن۔

فورمأیِشی:- یہ کینژھاہ کانٛسہِ ہنزِ فرمأیشہِ پٹھ بناونہٕ یا
کرنہٕ ییہِ۔

فیل ا:- [ن۔مؤل: فیل < ع: فعل]۔ ا۔ (گرٛیمرِ
مؤجوٗب) سُہ لفظ یُس کأم ہاوِ۔ ۲۔ کو کار۔ اَتھٕر۔
وُلٹہٕ کار۔ ۳۔ کوڈَر۔ پھیٚچہٕ۔

فیل گَژھُن:- اَتھٕر گژھُن۔ کانٛہہ وُلٹہٕ گی گژھنۍ۔

فیل ۲:- [مؤل: فیل < اَنگ۔ فیل Fail]۔ (امتحانس
بیترِ منٛز) پاس نہٕ گژھُن، ناکام۔

فیملی:- [م۔مؤل: فیملی < اَنگ : فیملی۔ Family]۔
کوٹُمب۔ شُری باٚژ۔ عیال۔ پَروار۔

فیملی پلاننگ:- عیال حد رَٹُن۔

فیکٹری:- [م۔مؤل: فیکٹری < اَنگ : فیکٹری۔
Factory]۔ ا۔ کارخانہٕ ۔ ۲۔ کامہِ ژاٹہٕ ہال۔

فیوٗز:- [ن۔مؤل: فیوٗز < اَنگ: فیوٗز Fuse] سُہ
خاص تارِ ٹُکرٕ یُس بجلی تارِ منٛز جوڑِتھ آسان چھُ
تہٕ (یُس بجلی تارِ) ژوٚر دَباو آسنہٕ وِزِ وِگلان تہٕ
خطرِ نِشہِ (بجلی ژھبہِ کرنہٕ ستۍ) بچاو کران چھُ۔

# ق

ق:- فارسی یَک ژوداٰہیُم، اُردوٗ یَک سَتوُہیُم تہٕ
کأشریُک دوہِ ترٛاٰہیُم اَچھر۔ اَبجد حسابہٕ چھُ
اَتھ اَکھ ہتھ مول۔

قَبر:- [م۔مؤل: قبر < ع: قبر]۔ اکھ خاص طرٕیقہٕ
انسان میٚژِ کھوٚنمُت دوب یتھ منٛز موردَن
وُڈران چھِ۔ گور۔

قَبر پھوٕلنۍ:- مأرِس ماجہِ پتہٕ تہٕ شُری کٕنۍ آباد

روزِنۍ یا تِتھی رِتۍ کار کرِنۍ یِیمہٕ سۭتۍ مأٖلِس ماجہ ہُنٛد ناو شوہرتھ لبہِ۔

قَبر زائنۍ :- کو کرِم کرِنۍ۔ نا کارٕ کامہٕ کرنہٕ۔ تہٕ کرُن یِیمہٕ سۭتۍ عاقبتھ خراب گژھہِ۔

قَبر سَرِنۍ :- ا۔ (زِندگأنی منٛز) رِژر کرُن، نیک کامہٕ کرنہٕ، خودایہٕ سنٛز عبادتھ کرِنۍ ۲۔ عاقبتھ نظرِ تل تھٲوِتھ دُنیا ہس منٛز سختی ٹلُنۍ۔

قَبر شیٛہلنۍ :- وُچھو "قَبر پھولنۍ"۔

قَبر کڈِنۍ :- ا۔ جوانی منٛزے مرُن۔ مَرنہٕ پتہٕ وَقت گُذریومُت آسُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) مُصیبتھ ٹلُن، تکلیفس منٛز آسُن۔ تنگ جایہٕ پھسیومُت آسُن۔

قَبر کرِنۍ :- ا۔ سخ بے یزتی کرِنۍ۔ سخ اُڈزاُڈ کرِنۍ ۲۔ تیٚتھ کینہہ کرُن یہٕ ژالُن کٔڈ ر آسہِ۔

قَبر کھٔنِنۍ :- ا۔ مورِد ڈراونہٕ باپتھ زمین کھٔنُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کأنٛسہٕ کٔیت زال واہرُن۔ کأنٛسہٕ پھساونکۍ سامانہٕ کرِنۍ۔

قَبر گژھنۍ :- ا۔ مرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ) میژ گژھنۍ۔ سخ بے یزتی گژھنۍ۔

قَبرِ منٛز کوٚڈمُت :- (ورگہٕ پأٹھی) بمار یا مُصیبتہٕ سۭتۍ ہوٚکھمُت ہیوٗ۔

قَبرِ وار :- تیٚژ زمین یتھ اکھ قبر بنہِ۔

قَبرِ ہنٛدِس بٔٹھس پیٹھ ووتمُت آسُن :- ا۔ مرنس تیار آسُن۔ ۲۔ سبٹھاہ وأنٛسہٕ آسُن۔

قَبرِ ہُنٛد عذاب :- سُہ عذاب تہٕ سزا یُس گوناہگارس قبرِ منٛز ٹلُن پیٚیہِ۔

قَبر گاہ :- [ن۔ مؤل: قَبر گاہ <ع: قَبر + ف: گاہ] اکھ ضِیافتھ یوسہٕ مازس تیار چھےٚ کرنہٕ یوان۔ وُچھو "طبق ماز" تہٕ۔

قَبا کوٗٹ :- [ن۔ مؤل: قبا کوٗٹ < ؟]۔ پھٕہہٕ کوٗٹ۔ پھاسہٕ کوٗٹ۔ دار۔

قَبا کوٗٹس لدُن :- ا۔ پھٕہہٕ دیُن۔ ۲۔ چور تہٕ کرُن۔ وقتہٕ وِزِ چارُن۔ کینہہ تیٚتھ کرُن یِیمہٕ نِشہٕ موکلِتھ ہیٚکِو زِنہٕ۔ تیتھہ کٔنۍ پھساوُن یُتھ پتہٕ پھیرِنس وار روزِنہٕ۔

قَبالہٕ :- [ن۔ مؤل: قبال <ع: قبالۃ] بَے نامہٕ (بیع نامہٕ)۔ تم عدالتی کاکذ یِمن پیٹھ یہٕ لیکھتھ آسہِ زِ کُس چیز کہنٛد چھُ۔

قَبالہٕ کرُن :- ا۔ تحریر کرُن۔ بیہ کرُن۔ ۲۔ ورگہٕ پأٹھی (سأری ہے) کھاتہٕ فیتہٕ کرُن۔ م: گرس بارس قبالہٕ کرُن۔

قَبالہٕ نٔویس :- سُہ یُس نٛد پیشہٕ قبالہٕ لیکھنۍ آسُن۔ عرضی نٔویس۔

قَبائِلی :- [مؤل: قَبال <ع: قبائِل]۔ قبیلن منٛز روزَن وأٖلی۔ تم یِم پرانہٕ طرِ پتھے زِندگی گُذاران آسَن۔ اکی کرٛانکۍ لۆکھ یِمن اسنٛگ لسنٛگ

طریقہٕ شرٕ ودآسہٕ۔

قَبض۔قبضی :-[ن۔مؤل:قبض <ع:قبض]۔مأدان۔ یابوڑادرارنہٕ پکنٕچ حالتھ نبر نہٕ نیرنٕچ حالتھ۔

قَبض پھُٹُن :-قبضے نہٕ روزُن۔مأدان پکُن۔

قبض کرُن :-نبر نہٕ نیرُن۔مأدان نہٕ پکُن۔

قَبل :-[مؤل:قبل <ع:قبل]۔گوڈٕ برٕونہہ۔

قبل از مرگ واویلا :- تہٕ ڈٕیتھ گومرنہٕ برونٹھے وٕدِ وٕد کرٕنی۔یانے مُصیبتھ ینہٕ برونٹھے مُصیبتھ مؤحسوس کرُن۔

قَبل از وقت :- [<ف:قبل از وقت]۔وَقتہٕ برونٹھ،گوڈٕے۔

قبل مسیح :- حضرتِ عیساہسؑ برونہہ۔عیسوی سَنہٕ شورُ ٕ سپدنہٕ برونہہ۔

قبرستان :- [ن۔مؤل: قبرستان <ع: قبر+ف۔ ستان]۔مَرگُدار۔مزار۔مزاربل۔سو جاے یتہِ نٕس مورِدٕ ڈٕ رادنہٕ آسن یوان۔

قَبضہٕ :-[ن۔مؤل:قبض <ع:قبضة]۔ا۔قوبٕوٕ۔کانٛہہ یا کینٛہہ ینہٕ نٕس اَتھس تل اَنُن۔۲۔تم بوٗ ژٕتھ شُشتر ٹُکرٕ یم دارِبن دَروازن لاگنہٕ یوان چھِ تہٕ یمن پیٹھ تم پھیران چھِ۔۳۔تھپھ (زٕ مینس جادادس بیترِ)۔

قبضہٕ کرُن :- کُنہِ چیزس پیٹھ قوبٕوٕ کرُن۔کانٛہہ یا کینٛہہ ینہٕ نٕس اَتھس منٛز اَنُن۔کانٛہہ چیز

پانس تَل کرُن۔

قَتِل :-[م۔مؤل:قتل <ع:قتل]۔مار۔خوٗن،کانٛہہ کُنہِ ہتھی یا رٕستی مأرِتھ ژھٕنُن۔

قَتلہِ عام :-ا۔عامُک قَتِل۔سارِنے لوٗکن ہُند قتِل۔یَس وِتٕسٕند قتِل۔۲۔(ورگہ پأٹھی)حَدٕ روس ظُلم۔

قَحط :-[ن۔مؤل:قَحط <ع: قحط]۔ا۔دژاگ،دروجر۔اَکال۔کال۔۲۔نہ یوٗن۔کُنہِ چیزٕچ سخت قِلّت۔

قَحط زَد :- دژاگہٕ لد۔بوچھِ ہُتی۔دژاگن تہٕ نہٕ بٔنی مأرٕ ٕ تی۔

قَد :-[ن۔مؤل:قَد <ع:قَد]۔(کانٛسہِ ہِنٕدِ جسمُک) تھزر۔کاڈ۔

قَدِ آدَم :-اِنسان قَدس برابر۔انسان قدُک۔

قَدِ رعنا :-ا۔شوٗبہٕ وٗن تھزر۔اُدیُل تہٕ زأدیُل قَد۔۲۔خوش اَندام،شوق۔ماشوقہٕ سُند کاڈ۔

قَدِ شمشاد :- سیوٗد قَد۔قدس تِتھے سبز ریتھ شمشادس چھُ آسان۔ماشوقہٕ سُند قد۔

قَدِ قامَتھ :-جسمُک قَد تہٕ اَندام بیترِ۔کاڈ۔

قَد کڈُن :-ا۔تھزر پزاوُن،تھوٗد قَد آسُن(کانٛسہِ)۔۲۔کوٗر بالغ گژھٕنی۔

قَد نُما :-قدس برابر۔م:قَد نُما شیشہٕ۔

قَدَم :-[ن۔مؤل:قَدم <ع:قَدم]۔پوٗد۔کھور۔پوٗر۔پکنس منٛز کھورن دون منٛز بأگُک فأصلہٕ یا دوٗر بر۔

قَدم اَنُن :-یُن۔تشریف اَنُن۔

قَدم پیۄن :- (کانٛسہِ ہُند کُنہِ جایہِ) واتُن ۔ مَنزِل پژاوُن ۔

قدم تراوُن :-ا۔ برونٛہہ پکُن ۔۲۔ پژ ژھنہٕ ورأیی ژلُن ۔

قَدم تُلُن :- ا۔ پکنس منٛز تیزی کرٕنۍ ۔ وُژھ سان پکُن ۔ برونٛہہ کُن بڑُن ۔۲۔ کانٛہہ کام یا بیترِ کرنس پیٹھ کمر گنڈُن ۔ سَنز کرُن ۔

قدم تھوُن :- ٹھُہرن ۔ ٹھُہراو کرُن ۔ تھکھ دیُن ۔ بہن ۔

قَدم دیُن :-ا۔ پکُن ۔ نیرُن ۔ بڑُن ۔۲۔ (ورگہ پأٹھی) مرُن ۔

قَدم ژھوٹُنۍ :- خوفہٕ کِنۍ نہٕ پکِھ تھے ہکُن ۔

قَدم قَدم دیُن :- برونٛہہ برونٛہہ پکان گژھن ۔ یتھ تتھ پکُن ۔ ڈوچر ڈوچر دیُن ۔

قَدم کڈُن :- پکُن ۔ پۆد تراوُن ۔

قَدمن پیۄن :- پرَن پیۄن ۔ زارِ پارِ کرُن ۔ کانٛسہ سٕتھاہ یزتھ کرُن ۔

قدمن میٹھۍ دِنۍ :-ا۔ کھورَن پیۄن ۔ سَخ زارِ پارِ کرُن ۔۲۔ کانٛسہِ سٕتھاہ یزتھ کرُن ۔ مامے برٕنۍ ۔

قدمہٕ قَدمہٕ :- وارِ وارِ ۔ اَستہٕ اَستہٕ ۔ لۆت لۆت ۔

قدامتھ :- [ع: قدامۃ] ۔ پژانہر ۔ پرون وَن ۔ پٲنٛیم زمانہٕ ۔

قدامتھ پسند :- پژانٛہن یا پرانہٕ زمانہٕ چٕہن قدرَن پیٹھ پکن وول ۔ پتہٕ وَتکۍ رَسم رِواج مانن وول ۔

قدٲور، قدٲوار :- [مؤل: قدآور ع: قد + ف: آور]

یس تھۆد قد آسہِ ۔ یس جان تہٕ شۆبہٕ وُن تھزر آسہِ ۔

قدٕر :- [م/ن ۔ مؤل: قدر ع: قدر] ۔ا۔ مول ۔ باو ۔ ۲۔ پژ ژھن داچھن ۔ خاطر ۔۳۔ یزتھ ۔ روتبہٕ ۔

قدٕر دان :-ا۔ کانٛسہِ ہُند یا کنیک قدٕر زانن وول ۔ یَس یہِ زانُن تگہِ زِ کُس کیا لوٚ ۔۲۔ (ورگہ پأٹھی) مہربان ۔

قدٕر دأنی :- کانٛسہِ ہُند مول زانُن تگُن ۔ کانٛسہِ ہُند قدٕر پچھانُن تگُن ۔ کانٛسہِ ہُند قدٕر زانُن ۔ یہِ بوزُن تگُن زِ کُس کیالوٚ ۔

قدٕر کرُن ، کرٕنۍ :- یزتھ کرُن ۔ خاطر کرُن ۔ پژ ژھن داچھن ۔

قدٕر قیمتھ :- مول ۔ بجر ۔

قرابتھ :- [م ۔ مؤل: قرابت ع: قرابۃ] ۔ پانہٕ نیار ۔ نزدیکی رِشتہٕ دأری ۔

قرار :- [ن ۔ مؤل: قرار ع: قرار] ۔ا۔ ٹھُہراو ۔ رُکن ۔۲۔ صبر ، تحمل ، برداش ، دٕتاولی نہٕ کرٕنۍ ۔ ژبڈ ۔۳۔ آرام ۔

قرارِ حساب :- حسابہٕ مۆجوٗب ۔ ضابطہٕ کِنۍ ۔

قرارِ بہُن :- سوکھہ سان بہُن ۔ مامے کرِتھ بہُن ۔ ستھ دِتھ کرنہٕ ورأے روزُن ۔

قرارِ قرارِ :- [مؤل: قرار ع: قرار] ۔ ٹھُہری ٹھُہری ۔ وارِ وارِ ۔ اَستہٕ اَستہٕ ۔

قراردیُن :-ا۔ کُنہِ کتھِ ہُند مقرر یا طے سپدُن ۔

۲۔یَرادٕ کرُن ۔۳۔آرام دیُن ۔ٹھہراو دیُن ۔

قرار کرُن:- ا۔ٹھہراو کرُن۔ ٹھٔہرُن۔ تھکھ دیُن۔ ۲۔آرام کرُن۔۳۔صبرٕ سان بہُن۔سوکھٕ سان بہُن۔

قرار یُن:- ا۔ سۄکۄن تہٕ آرام یُن ۔ فرحتھ سپدٕنی ۔۲۔ داُدِس لوٚژر گژھن۔

قرارداد:- [م۔مۄل: قرارداد <ع: قرار+ف: داد] تجویز۔ ریزۄلیوٗشن۔

قَرِض:- [ن۔مۄل: قرض <ع: قرض]۔ وۄزُم وۄرُد۔ تہٕ کینژھاہ کانٛسہِ دارِ۔

قَرِض تُلُن، قرض ہیوٚن:- وۄزِ پاٹھی کانٛسہِ نِشہِ کینژھہ اَنُن ۔ وۄزم ہیوٚن۔

قرض دار:- یَس کانٛسہِ ہُنٛد قرِض آسہِ یُس کانٛسہِ کینژھہ دارِ۔ مقروٗض۔

قرِض داُری:- قرِض آسُن ۔ وۄزِمس تَل آسُن۔

قرِض نکھٕ والُن:- ا۔ یِہ کینژھہ کانٛسہِ داُرِکھ زِ تہٕ ہورُن۔ اَنِتھ پہاسیوٚتُمت واپس دیُن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) شانٛو پیٹھ بور والُن۔ پان لوٚژراوُن۔

قَرضن چھُ چومُت آبِ حیات:- سُہ وَنان یُس تہٕ وۄزُم وٕقس پیٹھ ہوران چھُ۔ تہٕ دٕپتھ گو قرِض نے ساُری ہیٚ دُمرِ نکھٕ وَسہِ تو تہٕ چھٔنہٕ دٕتاوٕلی لازِم۔

قَرضہِ حَسنہٕ:- ا۔ سۄدٕ روس قرِض۔ سُہ قرضہٕ یتھ پیٹھ سۄد یِیہ نہٕ ہینہٕ ۔۲۔ سُہ قرضہٕ یُس ثواب زِینہٕ کہِ نیتہِ دِنہٕ یِیہ۔

قَرضہٕ بازَر:- بازرُک قرِض تہٕ دٕپتھ گوسُہ پوٚنسہٕ ٹۄنک یُس وانہٕ والین دیُن آسہِ ۔

قرضُن لَرزٕ:- وۄزمیُک بۄم۔ سُہ بۄم یُس کانٛسہِ کینژھہ دارنہٕ موکھہٕ آسان چھُ۔ قَرضچ تٕتھ۔

قَرن:- [ن۔مۄل: قَرن <ع: قرن]۔یوگ، واریاہ کال، سبٹھاہ وَق۔صٔدی۔مِ: اِنسانس پزٕ یتھے ہتس آسن قرنہٕ بٕدی گامٕتی ۔

قَرنہٕ پھیٚر:- ا۔صٔدی یَن ہنٛز فرق۔۲۔زمانٕک پھیٚر۔

قَرنہٕ ڈٕلُن یا پھیٚرتھ گژھن:- سِتارٕ ڈٕلُن۔ قِسمتھ پھیٚرِتھ گژھن۔

قرنہٕ واد:- یوگ تہٕ واریاہ کال۔ ہتہٕ بٕدی ؤری۔

قَزاق:- [مۄل: قزاق <ترکی: قزاق]۔ا۔قزاقستانٕک ۔ رۄسی ترُکستان یا تتِکی لۄکھ۔۲۔ ڈاکۄ، لۄٹُر۔ ۳۔(ورگہٕ پاٹھی) بےٚ رحم، بےٚ آر۔ظالم۔

قَزاق تیٖر:- سو یوسہٕ دِل تھچھ دِتھ نیِیہ، وَرگہٕ سبٹھاہ شکیل تہٕ سوندر زنانہٕ۔مِ: ہٕہلی کوٗرکہ قزاق تیٖری مالیُن چون ہے نیٚرے لو۔

قزاقِستان:- [مۄل: قزاقستان <ترکی: قزاقستان]۔ رۄسی ترکستانٕک اَکھ حِصہٕ ۔قزاقن ہُنٛد مُلک ۔

قَسَم:- [ن۔مۄل: قَسم <ع: قسم ]۔ دزٕے۔ کانٛسہِ زِٹھی سُنٛد ٹاٹھی سُنٛد مقدس ہستی ہُنٛد یا کتابہٕ ہُنٛد حوالہٕ دِتھ کینژھہ وَنُن یا کرُن۔

قسم پیوٚن:- طلاق پیوٚن۔

قَسَم پھُٹراوُن :- یِیمہِ باپتھ قَسَم آسہِ تُلمُت تمہِ نِشہِ پھیرُن یا تتھ پیٹھ نہٕ پکُن۔

قَسَم تھوُن :- کُنہِ ٹاٹھِ یا مقدس چیزٕ ک یا شخصیژ ہُند پاس آسُن۔

قَسَم دزٕ ے کرٕنی :- کورِ گوٚبرٕ والین ہُند پانہٕ وٲنی رِشتہٕ کرنک واد کرُن۔ یقرار کرُن۔

قَسَم کھیوٚن :- ۱۔ زنانہِ طلاق دِنک قَسَم ہاوُن۔ طلاق پیوٚن۔ ۲۔ دوٗر یراد کرُن۔

قَسَم ہیوٚن :- کورِ ماجہِ تہٕ گوٚبرٕ ماجہِ ہُند اورٕ یور نیتھر دِنک یقرار کرُن۔

قَسمہٕ قَسَم :- اور یور کرنہٕ آمژ واریاہ قَسَم۔ صفٲیی تارنہٕ موکھہِ دزین پیٹھ دزٕ یہِ کرنہِ۔

قَصابہٕ :- [ن۔ مؤل: قَصاب < ع: قصابۃ]۔ اَلوان کپرٕ ک گوٚ نژمُت سُہ مستقِل کلہٕ وُلیٚن یُس ٹاچہِ تہٕ پوٚژِ منز باگ آسان چھُ۔

قصاص :- [ن۔ مؤل: قصاص < ع: قصاص]۔ انتقام۔ بدلہٕ۔ بوٗزِتھ ہیوٚن۔

قصاص ہورُن ، ہیوٚن :- اِنتقام ہیوٚن۔ بدلہٕ ہیوٚن۔ کانٛسہِ ہنٛدی دٔسی یہِ نوقصان وٚوتمُت آسہِ تمیُک بدلہٕ ہیوٚن۔

قَصد :- [ن۔ مؤل: قَصد < ع: قَصد]۔ ۱۔ پکہٕ یرادٕ۔ ۲۔ منشا۔ مقصد۔

قَصد کرُن :- پکہٕ یرادٕ کرُن۔ کمر گنڈُن۔

قَصبہٕ :- [ن۔ مؤل: قصب < ع: قصبۃ] شَہرٕ ے۔ سُہ علاقہٕ یمیُک انتظام ٹاوَن ایریا کمیٹی چلاوان آسہِ۔

قصدن :- [< ع: قصداً]۔ زٲنِتھ مٲنِتھ۔ دیدٕ دانٛستہٕ۔ عمدن۔

قضا :- [ن۔ مؤل: قضا < ع: قضا]۔ ۱۔ خوداینہ سُنٛد حُکم۔ ۲۔ موت۔ مَرُن۔ مرٕگ۔ ۳۔ سُہ نماز (فَرض) یُس وَق دٕلِتھ پرنہٕ یِیہِ۔

قضا آسُن :- اَجَل، موت آسُن۔ وۄتمُت آسُن۔

قضا پرُن :- اَتھ گٲمژ نماز (فرض) پرٕنی۔

قضا کرٕنی ، کرُن :- زٲنِتھ مٲنِتھ نہٕ جماتھ پرٕنی۔ فرض نماز اَتھہِ کرٕنی۔ م: نٔبی رؤدُکھ پراران دِگر کوٚرُتھ قضا۔

قضا گژھن :- اَتھہِ گژھن۔ وقس پیٹھ نہٕ خیال روزُن۔

قضا و قدر :- مارنک تہٕ تھوٚنک یختیار۔ پوٚرٕ پوٚرٕ یختیار۔ تہٕ دٔپتھ گو کانٛسہِ ہُند سورُے کینژھہ۔ م: میٚون قضاو قدر چھا چانہٕ نیٚ اَتھن منز۔

قَضیہٕ کارٕ :- خراب نُصیبہٕ کٔنی۔ بدقسمتی کٔنی۔ م: قضیہٕ کارٕ روٗٹُکھ سُہ منز وَتہٕ سَن ہتھ۔

قَط :- [ن۔ مؤل: قط < ع: قط]۔ قلمس ہیتھٕ لوٚکھ سیٖز راونہٕ خاطرٕ تتھ تھٕپنیُک تراش۔

قطار :- [م۔ مؤل: قطار < ع: قطار]۔ تندل۔ لٲن صَف۔

قَطرٕ :- [ن۔ مؤل: قَطر < ع: قطرۃ] پھیور۔ (پھیٚور)۔ ورگہٕ پاٗٹھی کُنہِ چیزٕچ ٹبکھا، رَژھا، پینٛزا۔

قَطرٕ قَطرٕ چھُ سمندر سَمان :- تہِ دٔپتھ گو رَژٕ رَژٕ

چھُ اَمبار جمع گژھان۔

قطعن،قطن:-[<ع:قطعاً]۔ضۆرۆر،بلکل۔قطنی۔

قطنی:-وُچھو "قطعن"۔

قَفس:-[ن۔مؤل:قفس<ف:قفس]۔ا۔اٹھیُپ۔ پنجر۔۲۔قأدخانہٕ۔

قلم:-[ن۔مؤل:قَلم<ع:قلم۔مُ۔س:کلمہٕ۔لاتینی: کلمس]۔ا۔(پیۆت کُرتھ یالأ گتھ) مپلہٕ ستی لیکھنگ اَکھ آلہٕ۔۲۔کلۍ سوٗ ژھٕمۍ مؤریوس رُوبہٕ یوان چھےٚ۔۳۔شیشہٕ ژٹنگ اَوزار۔۴۔مَستچہٕ مگہٕ ہُند حاشیہٕ۔پےوَنٛد مؤر۔

قلم آسُن:-کیٛنہہ وُلی وُلی لیکھنٛچ مہارتھ آسٕنۍ۔ لیکھن تگُن۔

قلم بند(کرُن):-لیکھُن۔درٕج کرُن۔لیکھتھ تھوٚن،نوٹ کرُن۔

قلم تڑ اش:-قلم کرنٛچ شڑ اکھ۔

قَلم چلاوُن:-ا۔رَوأنی لیکھُن۔ژوٗتر ژوٗتر لیکھُن۔ ۲۔تحریرس منٛز تیزی کرٕنی یا کأنسہٕ سزادیُن۔

قَلم چھَپوٚتہٕ:-لوکٕٹ قلمہٕ کھُنٛڈ۔تیٛوٗت لوکٕٹ قلم یُس نہٕ اَتھس اَندر تہٕ ییہٕ۔

قلم دان:-[<ع:قلم+ف:داں]۔سُہ ڈَبہٕ یتھ منٛز قلم تہٕ دَوأت ژیتر تھوان چھِ۔

قلم دأنی:-اکھ خاص قسمُک پژون کأشُر کاکٕز۔

قلم ڈالُن:-کأنہہ کینٛہہ عبارتھ ییتر شیرٕنی،اِصلاح کرُن۔(ورگہٕ پأٹھی) کُنہِ عبارژ پھِر تھُر کرُن۔

قلم رأنی:-حۆکومتھ۔چلٕنی۔دَسگاہ۔

قَلم زَن:-یَس قلمس پیٹھ عۆبوٗر آسہٕ۔یُس یکدم کیٛنہہ لیکھِتھ آسِہ ہیٚکان۔مأہر مُنشی۔

قَلم ژأنُن:-کأنسہِ ہنٛدِس لیکھی مِتس قلمس ستی عبارتھ ڈالنٕی۔یتھ تتھ نوٚومانے نیرِ۔

قلم کار:-لیکھنٛچ پرنٛچ کأم کرن وول۔تہٕ دٕپتھ گو أدیب،شأعر،مُصنف۔کِتابہٕ لیکھن وول بیتر۔

قلندر:-[ن۔مؤل:قلندر<ف:قلندر]۔مۆت، مَستانہ،فُقیر۔یُس نہٕ دُنیا ہس لورٕ آسہِ۔

قلندری:-[<ف:قلندری]۔ا۔قلندرسٕنٛد طورطٔریقہٕ۔ دَرویشی۔مَوٗر۔

قلاش:-[مؤل:قلاش<ترُکی:قلاش]۔ا۔کنگال۔ غرٕیب۔نیٚدیۆر۔چٔنٛدٕ چھوٚن۔۲۔وُچکہٕ۔چالاکھ

قلاےا:-[م۔مؤل:قلاے<ع:قلعی]۔اکہٕ داتگ ناو۔یہٕ چھُ ترٛاموبن تہٕ سَرتلہِ بانن مُلہٕ مایہٕ کرنس تہٕ لگان۔

قلایہ گر:-قلاے کرن وول۔

قلاے۲:-[مؤل:قلاے<ع:قلعۃ]۔فصیل۔تھوٚد تہٕ دیٚانہِ کھۆل دیوار۔یہٕ چھےٚ یُتھٕ پأٹھی قِلَس أندٕ أندٕ کھارنہٕ یوان۔

قلمی:-[<:قلمی]۔اَتھہٕ ستی لیوٗکھمٕت مَسوٚدٕ۔یہٕ نہٕ چھأپی آسہٕ۔

قلمی شورٕ :- [ن۔مؤل: قلمی شور<ع: قلم+ف۔ی+ف: شورہ]۔ اکھ دوا۔

قَمر :- [ن۔مؤل: قَمر<ع: قمر]۔ ا۔ زٔن ژٕندرمہٕ۔ ۲۔ ماشوقس یا ٹیٹھِس بتھس چھِ اَتھ سٟتؠ مُشابہت دِوان۔

قَمچہٕ :- [ن۔مؤل: قَمچ<ترٕکی: قمچی]۔ کٕرٕ چوبک۔ سولؠر بیترِ یمہٕ سٟتؠ ہکھی کرنہٕ ییہِ۔

قمچِس دَن اَتھِ یُن :- ٹیٹھ وق یُن یتھ انسان واریاہ کالہٕ پیٹھ پٔزاران آسہِ۔

قمری :- [مؤل: قمری<ع: قمری]۔ ا۔ زٔنہٕ حِسابہٕ۔ ۲۔ اِسلامی کلنڈرٕ مؤجوب۔ ۳۔ گٹہٕ پچھ زٔنہٕ پچھی حسابہٕ۔ تیژھ حسابہٕ۔

قناتھ :- [ن۔مؤل: قنات<ع: قناۃ]۔ تَجیرٕ۔ سُہ کپرو ٹھوٗریُس شامی یانٕس أندی أندی چھ لاگان۔

قناعت :- [مؤل: قناعت<ع: قناعۃ]۔ کمس پیٹھ گُذاریا ژبٕڈ بیترِ۔ سنتوش۔ نہی کرٕ می پکُن۔

قناویز :- اَکھ ریشمی کپٕر۔ یتھ اوٕر یور پھرنہٕ سٟتؠ زٕ رنگ باسن۔

قَند :- [ن۔مؤل: قَند<ع: قَند]۔ مُدرِیر۔ پاکومُت مُدرِیر یُس ساپُچن منٛز قُلفی شکلہِ آسان بناونہٕ آمُت۔

قندس تہٕ مُچہٕ کنٕہ ساد :- [تہٕ دٕیتھ گواصلس تہٕ فرٕ ہس کُنی قدر کرٕنی۔ رٕتس تہٕ یچھس کُنے مول زانُن۔

قَندٕ شَربَتھ :- بیرٕ بیوٗل، دودٕ تہٕ کھنٛڈ ترٛاوِتھ تیار کرنہٕ آمُت اَکھ چَنہٕ باو۔

قوال :- [ن۔مؤل: قوال<ع: قوال]۔ قوٲلی گیوٚنک فن زانٕن وول۔ سُہ یُسٕند پیشہٕ قوٲلی گیوٚن آسہِ۔

قوام :- [ن۔مؤل: قوام<ع: قوام]۔ جوش۔ ٹیٹھ پاکھ یمہٕ سٟتؠ سأری جُزو حَل گژھتھ اَکھاَکس سٟتؠ میلن۔ ٹأنٛٹھ۔ لیس۔

قوام اَنُن :- کُنہِ چیزس جوش دِتھ تہٕ حَل کٔرِتھ ٹأنٛٹھ کھارٕنی۔

قوٲعِد :- وُچھو "قوٲعد"۔

قوٲلی :- [م۔مؤل: قوٲلی<ع: قوالی]۔ گیوٚنک اَکھ قٕسم ،اَکھ طرٕز۔ یہِ چھُ صوٗفیانہٕ قسمٕک گیوٚن مانہٕ یوان۔

قوٲیِد :- [مؤل: قوٲید<ع: قاعدۃ]۔ ا۔ فوجس منٛز ڈرِل گنڈنٕک طٔریقہٕ۔ ۲۔ وَرزِش۔ ڈرٕل۔ ۳۔ اوصوٗل۔ ضأبطہٕ۔ طٔریقہٕ کار۔

قوٲیِد کرٕنی :- پریڈ کرن۔ ڈرٕل کرٕنی۔ ورزِش کرٕنی۔

قوٲیِد گاہ :- ڈرٕل کرنٕک مأدان۔ گنڈن مأدان۔

قہر :- [ن۔مؤل: قہر<ع: قہر]۔ زبردستی سختی۔ ہأبتھ۔ ۲۔ کرٕ ؤد۔ ژٕکھ۔

قہر کرن :- ا۔ کأنٛسہِ سختی کرٕنی۔ ۲۔ کینٛہہ ویوٚ کھٹ کرٕن۔ اِنتہأیی غضب کرٕن۔

قہر گرٕژھن :- ٹیٹھ پیٹہٕ یُن یتھنہٕ وہٕتلتھ ہیکہِ زِ۔ مُصیبتس منٛز وَلنہٕ یُن۔ سخ ظُلم سپدُن۔ ناگہأنی بلاے پیٹھ پیٚنہٕ۔

چھُ اَمبار جمع گژھان۔

قطعن، قطن:۔[ع: قطعاً]۔ضۆرۆر، بلکل۔قطنی۔

قطنی:۔وُچھِو "قطعن"۔

قَفس:۔ [ن۔مؤل: قفس<ف: قفس]۔ا۔ٹھیپ۔ پنجر۔۲۔قأدخانہٕ۔

قلم:۔[ن۔مؤل: قلم<ع: قلم۔مُ۔س: کلمہٕ۔لاتینی: کلمس]۔ا۔(پیۆت گُرتھ یالاگتھ)ہپلہٕ ستۍ لیکھنک اَکھ آکہٕ۔۲۔کلچ سوٚڈ ٹہٕ مۆریوس رُونہٕ یوان چھےٚ۔۳۔شیشہٕ ژٹنک اَوزار۔۴۔مَستچہٕ نگہِ ہُند حأشیہٕ۔پےٚوَند مۆر۔

قلم آہُن:۔کینٛہہ ۆلی ۆلی لیکھنچ مہارَتھ آسٕنۍ۔ لیکھن تگُن۔

قلم بند (کرن):۔لیکھُن۔دٔرج کرُن۔لیکھِتھ تھوٚن،نوٹ کرُن۔

قلم تراش:۔قلم کرنچ شرٛاکھ۔

قلم چلاوُن:۔ا۔رَوأنی لیکھُن۔ژٛوٚتر ژٛوٚتر لیکھُن۔ ۲۔تحریرس منٛز تیزی کرٕنی یا کأنٛسہٕ سزادیُن۔

قلم چھۄپہٕ:۔لوکٕٹ قلمہٕ کھُنڈ۔تیۆت لوکُٹ قلم یُس نہٕ اَتھس اَندر تہِ ییہٕ۔

قلم دان:۔[ع: قلم+ف: داں]۔سُہ ڈَبہٕ یتھ منٛز قلم تہٕ دَوات ژیِتر تھوان چھِ۔

قلم دأنی:۔اکہٕ خاص قِسمک پۄرون کأشُر کاکز۔

قلم ڈالُن:۔کانٛہہ کیٛچھ عبارتھ بیتر شیرٕنی، اِصلاح کرُن۔(ورگہٕ پأٹھی) کُنہٕ عبارژ پھِر تھُر کرُن۔

قلم رأنی:۔حۆکوٗمتھ چلٕنی۔دَسگاہ۔

قَلم زَن:۔یُس قلمس پیٹھ عوٚبوٗر آسہٕ۔یُس یکدم کینٛہہ لیکھِتھ آسہِ ہیکان۔مأہر مُنشی۔

قلم ژأنُن:۔کأنٛسہِ ہِندِس لیکھمِتس قلمس ستۍ عبارَتھ ڈالٕنۍ۔یتھ تتھ نوٚ ومانٕے نیرِ۔

قلم کار:۔لیکھنچ پرٛچ کأم کرن وول۔تہٕ دۆپتھ گو أدیب، شأعر، مُصنِف۔کِتابہٕ لیکھن وول بیتر۔

قلندر:۔ [ن۔مؤل: قلندر<ف: قَلندر]۔مۆت، مَستانہٕ،فقیر۔یُس نہٕ دُنیا ہس لوٗرے آسہِ۔

قلندری:۔[<ف: قلندری]۔ا۔قلندرسُنٛد طور طرِیقہٕ۔ دَرویشی۔مۆژر۔

قلاش:۔ [مؤل: قلاش<ترُکی: قلاش]۔ا۔کنگال۔ غٔریب۔نٔدیۆر۔ژٛنٛدٕ چھوٚن۔۲۔وُچکہٕ۔چالاکھ

قلاےا:۔[م۔مؤل: قلاے<ع: قلعی]۔اکہٕ داتُک ناو۔یہٕ چھُ ترٛاموین تہٕ سَرتلہِ بانٛن مُلہٕ مایہٕ کرنس تہِ لگان۔

قلایہ گر:۔قلاے کرن وول۔

قلاے۲:۔[مؤل: قلاے<ع: قلعۃ]۔فصیل۔تھوٚد تہٕ دیٛانہِ کھۄل دیوار۔یہٕ چھےٚ یژٕ پأٹھی قِلعس أندٕ أندٕ کھارنہٕ یوان۔

قلمی:۔ [<: قلمی]۔ اَتھہٕ ستۍ لیوٚکھمُت مَسودٕ۔ یہٕ نہٕ چھأپی آسہِ۔

قلمی شورٕ :- [ن۔مؤل: قلمی شور < ع: قلم + ف۔ی + ف: شورہ]۔ اکھ دوا۔

قَمر :- [ن۔مؤل: قَمر < ع: قمر]۔ ا۔ زوٗن ژٗندرمہ۔ ۲۔ ماشوقس یا تیٚندِس بُتھِس چھِ اَتھ سٟتؠ مُشابہت دِوان۔

قَمچِہ :- [ن۔مؤل: قمچ < ترٕکی: قمچی]۔ گُرٕ چوبُک۔ سولُوٗر بیترِ ییمہٕ سٟتؠ ہکھی کرنہٕ ییہِ۔

قمچس دَن اَتھِ یُن :- تیٚتھ وق یُن یتھ انسان واریاہ کالہٕ پتھ پٕزاران آسہِ۔

قمری :- [مؤل: قمری < ع: قمری]۔ ا۔ زوٗنہٕ حِسابہٕ۔ ۲۔ اِسلامی کلنڈرٕ مؤجوٗب۔ ۳۔ گٹہٕ پچھ زوٗنہٕ پچھی حسابہٕ۔ تیژھ حسابہٕ۔

قناتھ :- [ن۔مؤل: قنات < ع: قناۃ]۔ تَجیرٕ۔ سُہ کپرٕو ٹھوٗریُس شامیٚ یانٕس اَندیٚ اَندیٚ چھِ لاگان۔

قناعت :- [مؤل: قناعت < ع: قناعۃ]۔ کمس پیٚٹھ گُذارٕ یا ژھبڈ بیترِ۔ سنتوش۔ نِبی کرٕ‌ٔمی پکُن۔

قناویز :- اَکھ ریٚشمی کپرٕ۔ یتھ اور یور پھرنہٕ سٟتؠ ژٕ رنگ باسَن۔

قَند :- [ن۔مؤل: قَند < ع: قَند]۔ مُدرٕ یرٕ۔ پاکومُت مُدرٕ یرٕ یُس ساژچن منٛز قُلفی شکلہٕ آسان بناونہٕ آمُت۔

قندس تہٕ مُچہِ کنٕے ساد :- [تہٕ ڈیٚتھ گواصلس تہٕ فرٕ ہس کُنی قدر کرٕنی۔ رٕتس تہٕ پٕچھس کُنے مول زانُن۔

قَندٕ شَربَتھ :- بٔبرٕ بیوٗل، دود تہٕ کھنٛڈ ترٛاوِتھ تیار کرنہٕ آمُت اَکھ چَنہٕ باو۔

قوال :- [ن۔مؤل: قوال < ع: قوال]۔ قوٗالی گیوٚنک فن زانٕن وول۔ سُہ یُسٕند پیشہٕ قوٗالی گیوٚن آسہِ۔

قوام :- [ن۔مؤل: قوام < ع: قوام]۔ جوش۔ تیٚتھ پاکھ ییمہٕ سٟتؠ ساری جُزو حَل گٔژھتھ اَکھاہ کُس سٟتؠ میلَن۔ ٹانٛٹھ۔ لیس۔

قوام اَنُن :- کُنہِ چیزس جوش دِتھ تہٕ حَل کٔرِتھ ٹانٛٹھ کھارٕنی۔

قواعِد :- وُچھو ''قواعد''۔

قوالی :- [م۔مؤل: قوالی < ع: قوالی]۔ گیوٚنک اَکھ قِسم، اَکھ طرٕز۔ یہِ چھُ صوٗفیانہٕ قِسمُک گیوٚن مانہٕ یوان۔

قوائِد :- [مؤل: قوائد < ع: قاعدۃ]۔ ا۔ فوجس منٛز ڈرِل گنڈنٕک طریقہٕ۔ ۲۔ وَرزش۔ ڈرِل۔ ۳۔ اوصول۔ ضابطہٕ۔ طریقہٕ کار۔

قوائِد کرٕنی :- پریڈ کرٕن۔ ڈرِل کرٕنی۔ ورزِش کرٕنی۔

قوائِد گاہ :- ڈرِل کرنٕک مأدان۔ گندن مأدان۔

قہر :- [ن۔مؤل: قَہر < ع: قہر]۔ زبردستی سختی۔ ہأبتھ۔ ۲۔ کرٛوٗد۔ ژٕکھ۔

قہر کرٕن :- ا۔ کانٛسہِ سختی کرٕنی۔ ۲۔ کینٛہہ ویوٚکھٕت کرٕن۔ اِنتہأیی غضب کرٕن۔

قہر گرٛھن :- تیٚتھ پتہٕ یُن یتھنہٕ ووتلتھ ہیکیٚ ژٕ۔ مُصیبتس منٛز وَلنہٕ یُن۔ سخ ظُلم سپدُن۔ ناگہأنی بلاے پیٚٹھ پیٚنٛز۔

قَہرِ الٰہی :- غضب خودا۔ خودایہٕ سُند طرفہٕ سنگین سَزا۔

قَہرِ خودائے :- ا۔ خودایہٕ سُند غضب۔ ۲۔ (ورگہٕ) عجٲیب باتھ۔

قہار :- [ن۔ مؤل: قہار < ع: قہار]۔ ا۔ سُہ یُسند غلبہٕ سارٕی سے پیٹھ چھُ۔ تہٕ دُپتھ گودٕ ے خودا۔ ۲۔ خودایہٕ سُند اَکھ صِفتھ۔ ۳۔ (انسانس صفتھ لاگنہٕ وِزِ) ظالم۔ جبرٕ تہٕ وول۔ سختی کرن وول۔

قَہو :- [ن۔ مؤل: قہو < ع: قہوة]۔ سُہ چَنہٕ باویُس مُدرِ پر تہٕ کِہے چائے ترٲوِتھ یا کوتھ تیار کرنہٕ آسہٕ آمت۔

قہو چائے :- دودٕ روٚستے چائے۔ سو چائے یتھ بِہے چائے وَننہٕ یوان چھُ۔ بجے چائے۔

قَہو خانہٕ :- ییٚتہٕ چائے بیترِ چَنہٕ آسہٕ یوان۔ کافی ہوٚس۔ لوکٕٹ چایہٕ ہوٹل۔

قہو کرُن :- (ورگہٕ)۔ کانٛسہٕ بُدی کرِتھ تَس نشہٕ خُدمُژ ہنز آش تھوٕنی۔

قَے :- [م۔ مؤل: قَے < ع: قَے] دروکھ، وُلٹی۔

قَے کرٕنی :- ا۔ دروکھ کرٕنی۔ کھیوٚمُت کوٚرمُت واپس اَنُن۔ ۲۔ ورگہٕ پٲٹھی یہٕ خبر آسہٕ تِہٕ نتھ گوٚ ھن۔

قَے ینٛز :- ا۔ دروکہٕ پینہٕ۔ وُلٹی یِنٛز، وُتھتھ یِن۔ ۲۔ کرٕ اہتھ گوٚھنی، کھُر گوٚھنی۔ گرانہٕ گوٚھنہٕ۔

قیادَتھ :- [ن۔ مؤل: قیادَت < ع: قیادَة]۔ رہنمٲیی، رہبری۔

قیاس :- [ن۔ مؤل: قیاس < ع: قیاس]۔ ا۔ اَنٛکہٕ وَن، اَنداز، اَٹکل۔ ۲۔ خیال۔ سوچ۔

قیاس کرُن :- انداز کرُن، اَٹکل لگاوٕنی۔ اَنٛکہٕ وُنی کنٛز وچھُن۔

قَیام :- [ن۔ مؤل: قیام < ع: قیام]۔ ٹھٕہرُن یا ٹھٕہراو۔ روزُن، بَسُن، سوٚکوٚنتھ۔ م: توٚہۍ کتہٕ چھِو قیامٕ کرِتھ۔

قیام کرُن :- وُچھو "قیام" لفظ۔

قیامَتھ :- [م۔ مؤل: قیامَت < ع: قیامة]۔ ا۔ روزِ محشر۔ سُہ دوہ ییٚلہِ مورِد زِنٛدٕ سپدٕ ن تہٕ پننٮ۪ن اعمالن ہُنٛد حساب دِن پزٕ لے۔ ۲۔ سخ تکلیف، عذاب، دوکھ، ظُلم، سختی۔ ۳۔ کنٛیگ پزٕ نہٕ پیٹھی آسُن۔

قیامتہٕ کُبرا :- بڈ قیامتھ۔ تژھ حالتھ یتھ اَندر ژھوٚپِٹ تہٕ گوٚٹ میلہٕ۔

قیامتُک پتیم پہر :- ا۔ تہٕ دُپتھ گوسبٹھاہ زیادٕ سختی۔ ۲۔ ترٕتٕہ بزُن، گیر ودار۔

قیامَتھ سپدٕنی، گرٕ ھنی :- ا۔ سخ عذاب گرٕھن۔ ۲۔ وُلٹہٕ۔ دأدِس بیترِ منٛز ہینہٕ یُن۔

قیامَتھ کرٕنی :- سخ ظُلم یا عذاب کرُن۔ پنٛدی کڈٕ ن۔

قیٲسی :- ا۔ یہٕ کینٛہ تھاہ اَنٛکہٕ وُنی پتھے دِتھ آسہٕ۔ خیأٚلی۔

قیوٗم :- [ن۔ مؤل: قیوٗم < ع: قیوم]۔ ہَر ہمیشہٕ پوٚشہٕ دُن تہٕ روزٕ وُن خودایہٕ سُند اَکھ صِفتھ۔

قَیلولہٕ :- [ن۔ مؤل: قیلول < ع: قیلولة]۔ کوج کھبتھ

آرام یا نیندر رِزولاہ۔

قیلولہٕ کرُن:- کوج کھیتھ آرام کرُن یا کرُ تر اوُنی۔

قاب:- [ن۔مؤل: قاب <ف: قاب]۔ اکھ کھینہٕ بانہٕ۔ بُشکابہٕ۔

قاب قوسین:- ا۔ دون بُمن درمیان فاصلہٕ۔ ۲۔ معراجہٕ راتھ منز خدایس تہٕ پأغمبرِ خدایس درمیان دوٗرِ رِچ اکھ تشبیہ۔ ۳۔ قرآنِ شریفہٕ کِس اکِس آیس (قاب قوسین اَوادنیٰ) کُن اِشارٕ۔

قاش:- [م۔مؤل: قاش <تُرکی: قاش]۔ کھٕنڈ، چھَل۔ تِلم۔

قاشوٗ (کاشوٗ):- [ن۔مؤل: قاشو <؟ تُرکی۔ قاشق] چمچہٕ۔ لوکُٹ چونچہٕ ہیوٗ۔

قاطُر (کاٹر):- [ن۔مؤل: قاطر <؟ تُرکی: قاطِر] خچر۔

قالباف:- قالین وونَن وول۔

قالباف تأیلیم:- قالباف ووستہٕ سٕندی ہبدایتھ یم سہ ژاٹہٕ باجن قالینکی رَنگ بدلاونہٕ باپتھ دِوان چھُ۔ رنگ بدلاونہٕ باپتھ دِوان چھُ۔

قامت:- مؤل: قامت <ع: قامۃ]۔ آڈو باڈو۔ قد۔ تھزر۔ ووگنیار (پرانِہ کأشرِ شأیری منز ماشوقہٕ سٕنز قد ہاونہٕ موکھہ ورتاونہٕ آمت، اَندام

قِبلہٕ:- [ن۔مؤل: قبل <ع: قبلۃ]۔ سُہ طرف یوٗ کُن مُسلمان نمازٕ وِزِ سجدٕ کران چھِ۔ (مسلمان چھِ کعبس کُن بُتھ کٔرِتھ خدایس سجدٕ کران)۔

خانیِ کعبہٕ۔

قُبلَس کُن کھور گژھنی:- ا۔ ژھینڈ یا ری گژھنی۔ ۲۔ کأنسہِ نِشہِ بٔڈس بےٚ یزتی گژھنی۔ ۳۔ (ہزلہٕ پأٹھی) ثواب اَتُس کھسُن۔ خامخاہ کأنسہِ بےٚ یزتی باعث۔

قُبلَے اَوَل:- عُرفہِ عامس منز چھُ اَمیُک مقصد مَسجدِ اقصیٰ یور کُن بُتھ کٔرِتھ مُسلمان گینژن رتن نماز اَسی پران۔

قُبلہٕ روے:- خانے کعبس کُن بُتھ کٔرِتھ۔ یا کُ قُبلہٕ چھُ۔

قُبلہٕ گاہ:- یہ چھِ تأظیمہٕ کِنژ مألِس وَنان۔

قُبلہٕ نُما:- قبلُک طرف ہُوٚراونک اکھ آلہٕ۔

قُبلہٕ ہوٚل گژھُن:- تہٕ دٕپتھ گوکھتہٕ سبزر گژھُن، کینہہ تیُتھ سپدُن یمہٕ سِتی کانہہ ناراض گژھِ۔ ہٹہٕ مٹہٕ کأنسہِ ہُنڈ ناراض گژھُن۔ بٔلی کأنسہِ ہُنڈ ژکھ گژھُن۔ موموٗلی کتھِ پیٹھ دارکہٕ رٔٹُن۔

قُبیلہٕ:- [ن۔مؤل: قُبیل <ع: قبیلۃ]۔ کٔروٗن۔ کُنہِ خاص قِسمہٕ کین لوکن ہنٛز جماتھ، فرقہٕ، خاندان، کُنبہٕ۔

قبیلہٕ دأری:- رِشتہٕ دأری، اکِہ کٔرانہِ کین لوکن ہُنٛد نسبتی تولق۔

قبیلہٕ کرٕون:- رِشتہٕ دأری، قبیلہٕ دأری۔

قدیٖم:- [ن۔مؤل: قدیم <ع: قدیم]۔ پرٕون پرانہِ زمانُک یا وقتُک۔

قُریب :- ا۔نزدیکھ۔ئتی، دوٗر نہٕ۔نکھہ۔۲۔لگ بگ۔تقریبن۔

قُریبِ مرگ:-سَرنہٕ سَر۔مَرنَس تیار، بڑتھ بن ہُند۔

قُریبن :-تقریبن۔لگ بگ، ہیوٗہ۔

قُریبی:-ا۔نزدیکی۔۲۔نکھہٕ تلُک۔م:قُریبی رشتہٕ دار۔

قصیٖد :-[ن۔موٗل:قصیٖد <ع:قصیدۃ]۔شأیری ہنز اکھ مشہوٗر صِنف۔سو نظم یتھ منٛز کانٛسہٕ ہندی گون گیوٗنہٕ آسَن آمٕتی۔

قصیٖدخانٛی:-گون گیوٗنی۔۲۔(ہزلہٕ پأٹھی)خوشامد، چاپلوٗسی۔

قضیہٕ:-[ن۔موٗل:قضیہٕ <ع:قضیۃ]۔نِیاے۔جگرٕ۔تنازٕ۔

قضیے زمیٖن بر سَر زمیٖن:-تہٕ ژُتھ گوٚیتی نِیاے ووتلہٕ سُہ گوٚژھِتی انٛزراوُن۔

قلِیہٕ :-[ن۔موٗل: قلی <ع: قلیلۃ]۔لیٛدرِ رَنگہٕ روٗنمت ماز یتھ سہٕ دَم کرنہٕ یا زامُت دود تراونہٕ آسہِ آمُت۔

قلیٖل :-[موٗل:قلیٖل <ع:قلیل]۔کم، کیٚہ، رژھا موٚیا۔

قمیٖض :-[م۔موٗل:قمیٖض <ع:قمیص]۔کُرتہٕ۔اکھ خاص کیٚٹنہٕ ہُند نالٕی پلو، کُرتہٕ۔

قنٛدی کُلچہٕ:-اکہِ خاص قِسمُک موٗدُر کُلچہٕ۔

قنٛدیٖل :-[ن۔موٗل:قنٛدیٖل <ع:قندیل]۔ا۔اکہِ قِسمُک شیٖشو فونوٗس یُس تالوس الوٗنٛد تراونہٕ یوان چھُ۔۲۔ڈُلوم کھوکھر ٹوٗٹھ ہیوٗہ اکھ چیز یتھ انٛدر گوٚنٛڈ بیترِ تھوان چھِ۔

قوٗی:-[<ع: قوی]۔ا۔طاقتی چیز۔یَیمہٕ ئتی زُد گَری زِ۔م: پہلوان چھُ قوی کھٚسین کھوان۔

۲۔دوٗر۔مضبوٗط،ہٹہٕ کٹہٕ۔زوٗرَس منٛز۔

قُہرا:- وُچھو ''قُہر''۔

قُہر۲:- شُری بیترِ وَدان وَدان گَرہٕ ہانٛڈ۔

قُہو:- وِچھو ''قُہو''۔

قأبِض :-[موٗل:قأبِض <ع: قابض]۔ا۔یٚمی کُنہٕ یا کانٛسہٕ قَبضہٕ کوٚرمُت آسہِ۔یٚمی کانٛہہ یا کینٛہہ پانَس نِش یا تَل روٗٹمُت آسہِ۔۲۔سُہ چیز یَیمہٕ ئتی قبض گژھِ یا یَیمہٕ ئتی مأدان نیرنَس بُنٛدِش گژھِ۔

قأبِل :-[موٗل:قأبِل <ع: قابل]۔سُہ یُس کانٛہہ خاص کأم کرنُک گاٹہٕ، ہیکتھ تہٕ ہُنر آسہِ۔ لایق۔م:یہٕ کتھ قأبِل چھُ سزِ یہٕ لگہٕ توہہٕ بُتھِ۔

قأبِلِ اعتبار :-پژنَس لایق۔یوٗر روٗزنَس لایق۔ پژھ کرنَس لایق۔

قأبِلِ اعتراض :-اعتراضَس لایق۔یتھ پٕٹھ پرژھ گأرکرٕنی شوٗبہہ۔پرکھاشَس لایق۔

قأبِلِ تأریٖف :-تأریٖفن لایق۔یُس یا یہٕ سبٕھاہ پسند آسہِ۔تھکنَن لایق۔

قأبِلِ داد :-تأریٖفن لایق۔داد دِنَس لایق۔جان، زبر۔اصل۔

قأبِلِ دیٖد :-وُچھنَس لایق۔

قابلِ ذِکر :- زیوٗ پیٹھ ہیوٚن لایق۔

قابلِ سماعت :- قونوٗنہٕ موٗجوٗب بوزنس لایق مقدمہٕ۔ سُہ مُقدمہٕ یمیُک بوزُن قونوٗنہٕ موٗجوٗب جایز آسہِ۔

قابلِ عمل :- یتھ پیٹھ عمل ہیکہِ سپدِتھ۔ یتھ پیٹھ کاروٲیی سپدِتھ ہیکہِ۔

قابلِ غور :- یتھ یا یَس پیٹھ سوچُن پیٚزِ۔ سوچنس لایق۔ تہٕ یتھ پیٹھ سوچ پیٚزِ کرُن۔

قابلِ قدر :- رَچھُن لایق۔ رٕژھرُن لایق۔ یزتھ کرُن لایق۔ موتبر۔ یزتہٕ ووّل۔

قابلِ قوٗبوٗل :- مانُن لایق۔

قابلِ کار :- ۱۔ بکاریُن لایق۔ ووتمت یا وٲژھمُت۔

قابلِ نکاح :- نیترس لایق۔ ووتمت یا وٲژھمُت۔

قابیل :- [ن۔ موٗل: قابیل > ع: قابیل]۔ حضرت آدمہٕ سُندا اکھ نیچُو یمی پنُن زیٹھ بوے (ہابیل) قتل کوٚر۔

قابلیتھ (قابلیت) :- [م۔ موٗل: قابلیت > قابلیۃ] کانُہہ کام کارکرنُک گاٹہٕ یا ہُنر ہیتِر۔ لیاقتھ۔ صلاحیتھ، سُلیقہٕ۔

قاتِل :- [موٗل: قاتِل > ع: قاتِل]۔ ۱۔ قتل کرن ووّل۔ خوٗنی۔ یُس کانسہِ مارِتھ ژھنہِ۔ مارکرن ووّل۔ ۲۔ (ورگہٕ) ظالِم، یُس ظلم کرِ۔ ۳۔ ماشوق۔

قاد :- [موٗل: قاد > ع: قید]۔ ۱۔ بنٛد، جیل، بانٛدی۔ ۲۔ بنٛد آسُن، جیلس منٛز آسُن۔ بانٛدی وانس منٛز آسُن۔

قادِ بامشقتھ :- سُہ قاد یتھ اندر مُجرِم بانٛدی وانس منٛز میحنتھ مشقتھ کرناونہٕ یِیہِ۔

قادِتنہاے :- قِدی جیلس منٛز کُنے زوٗن تھاونُک سزا۔

قادِسخت :- سُہ سزا یتھ منٛز قِدِس جیلس منٛز موٚزوٗرُک مشقتھ تہٕ کرٕنی پییہِ۔

قادِمحض :- سُہ سزا یتھ منٛز قِدِس جیلس منٛز کام چھنہٕ ہنہٕ یوان۔

قاد آسُن :- ۱۔ بنٛد آسُن۔ جیلس منٛز آسُن۔ ۲۔ ورگہٕ پاٹھی۔ کُنہِ خاص کتھِ ہُنٛد پابنٛد آسُن۔ کُنہِ ستی گنٛڈِتھ آسُن۔

قاد خانہٕ :- بانٛدی وان۔ جیل خانہٕ۔ سو جاے یتہِ کانُہہ بنٛد یِیہِ تھونہٕ۔

قاد کرُن :- بانٛدی وان لدُن۔ جیل تھوٗن۔

قادِر :- [ن۔ موٗل: قادر > ع: قادِر]۔ خودایہٕ سُندا اکھ وَصف۔ خودایہٕ سُندا اکھ صِفتھ۔ قودرتہٕ ووّل۔ تہٕ ذٕیتھ گوسُہ یُس ساری سے پیٹھ ٲختیار آسہِ۔

قادِرِ مُطلق :- پزٕتھ کُنہِ چیزس پیٹھ لازوال ٲختیار تھاوَن ووّل، تہٕ ذٕیتھ گو خوداے۔

قادری :- [موٗل: قادری > ع: قادری]۔ ۱۔ دستگیری سِلسلُک۔ حضرت شیخ عبدالقادر جیلانیؒ سُندِ طریقن پیٹھ پکن ووّل۔ کانٛہ اَوَک سُندِ پکھیُک۔

۲۔یہ ئبسبتھ چھے ہیٖمر کیٖنژٕن کرٕنہٕ ہنز دوٗیم کرٕ ام۔

قأری :-[مؤل: قأری<ع: قاری]۔۱۔یُس قرٲتہٕ سان قرآن پرُن آسہِ تگان۔۲۔قرٲتہٕ کہٕ قٲنوٗنہٕ اوصوٗل زانٕن وول۔

قأز :-[ن۔مؤل: قأز<ع: قایزہ]۔۱۔گنڑ یُس ژٲلہِ وٕنس گرِس رٹنہٕ باپتھ کرنہٕ یوان چھُ۔اکہٕ قسمُک شرُک۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)اورٕ یور ہلٕنٕس ڈلٕنس نہٕ وارآسُن۔

قأز کرُن:-اورٕ یور پھیرنس تھورنس بُندِش کرٕنی۔اُکی ہے جایہِ بَنٛد کٔرِتھ تھوٗن۔ہلٕنس ڈلٕنس نہٕ وارتھوٗن۔

قأزٕ گژھُن:-اورٕ یورٕ نہٕ پیٚرتھ ہیکُن ہُنٛدِش گژھٕنی۔کینٛہہ تِتھ سپدُن یمہٕ کنہِ پھیرتھ تھوٗرِتھ ہیکی زِنہٕ۔

قأصِد:-[مؤل: قأصد<ع: قاصد]۔شیٖچھ خبرٲنٕن وول۔یُس اَتھِ شیٖچھ خبر سوٗزی زِ۔خبر رَسان۔

قأضی :-[ن۔مؤل: قأض<ع: قاضی]۔نیاے اُنٛزراوَن وول(خاص کٔرِتھ مذہبی مقدمن ہُنٛد) یہ اوس پتھ کالہِ منصفی ہُنٛد عوہدٕ پزاون والی سُنٛد سرکأری ناو۔

قأفِلہٕ :-[ن۔مؤل: قأفل<ع: قافلۃ]۔کاروان۔سفرس دژ اوتٕمین لوٗکن ہنٛز جماتھ۔

قأفیہ :-[ن۔مؤل: قأفیہ<ع: قافیۃ]بأتکہٕ رُدیٖف دراُے پٔتی مہِ لفظٕچ آواز۔

قأفیہ بَنٛدی:- شار موزوٗن کرٕنی۔

قألِب :-[ن۔مؤل: قألب<ع: قالب]۔۱۔سانٛچہٕ۔سُہ آلہِ ییٚمہِ اندر کانٛہہ چیز ترٲوِتھ تمی شکلہِ بناونہٕ ییہ۔۲۔موٗر۔جِسم۔

قألبس منٛز ترٲوُن :-سانٛچس منٛز لدُن تہٕ دِتھ گوٗنٛچھناوُن۔تربِیَتھ دِنی۔حدس منٛز رٹُن۔

قألیٖن :-[ن۔مؤل: قأليٖن<ترُکی: قالین]۔اکہٕ خاص قِسمُک فرِش یا وٲتھرُن یُس ییر تہٕ سُتھر رلٲوِتھ بناونہٕ یوان چھُ۔اکہٕ قسمُک نقش کٔرِتھ جُتٕل فرِش۔

قأليٖن باف:-قأليٖن وونَن وول۔

قأنٛچی :-[م۔مؤل: قأنٛچ<ترُکی: قینچی]۔کأتر۔دُکأری۔۲۔پَشہٕ تان ییٚتھ اَندر زِ کرٲکھ اُکس ہتی دولہِ آسان چھےٚ۔

قأنٛچی کرٕنی :-گُلٕن تراش ہیوٗن۔کپٹن کرٕنی۔

قأیِد:-مؤل:قأید<ع:قأید]۔سردار۔وَتہٕ ہاوُک۔لیڈر۔

قایدِ اعظم :-ساری وٕ ے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ زیٛٹھ وَتہٕ ہاوُک۔سأری وٕ ے کھوتہٕ زیٛٹھ لیڈر۔

قأیِل :-[مؤل: قأیِل<ع: قابلِ]۔۱۔یُس کینٛہہ مانہٕ، یُس کنٛہِ پابند آسہِ۔۲۔ییٚمی ہار آسہِ مأنی ہمُز۔

قأیِل سپدُن :-۱۔مانُن تسلیم کرُن۔۲۔ہار مانٛنی۔بخشس منٛز شِکس کھیوٗن۔

قأیِل کرُن :-مأنی راوُن، لاجواب کرُن۔وادس

نہٕ وارتھوُن۔

قائیم :- [مؤل: قائیم <ع: قایم]۔ ڈٟرتھ۔ ٹھہرتھ۔ برقرار۔ پوشہِ وُن۔ خودایہٕ سُند اکھ صفتھ۔

قائیم سپدُن :-۱۔کانہہ چیز وٚجودس منز یُن یا بٔنُن۔۲۔ دٟرُن۔ پایدار روزُن۔

قائیم کرُن :- کانہہ چیز وٚجوٗدس منز انُن یا بناوُن یا دٟرراوُن۔

قائیم مِزاز :-یَس اَکی ڈٔنجہِ مَن روزِ۔

قائمقام :- کُنہِ جایہِ بیٚیہٕ ہِنٛدِ بدل عارضی پأٹھۍ کٲم کرن وول۔ جانشین۔

قأیِدٕ :-[ن۔مؤل: قأیِد <ع: قاعدۃ]۔۱۔ طریقہٕ۔ ضأبطہٕ۔ دٚستوٗر۔۲۔قونوٗن۔۳۔اَچھر کتاب۔ سو گوڈنیچ کتاب یِمہٕ پٮ۪ٹھ اَچھر پرٕنۍ ہیٚچھان چھِ۔۴۔خصلتھ عادتھ۔۵۔ترتیب۔

قِرمِزی :- مؤل: قِرمِزی <ع: قِرمِز]۔ اکھ رَنٛگُک ناو۔ تیز وٚزُل رَنٛگ۔

قِلہٕ (قلعہ) :-[ن۔مؤل: قِل <ع: قلعۃ]۔قلاے، سُہ دیواریُس کُنہِ جایہِ أندۍ أندۍ دُشمنس نِشہِ بچاوکرنہٕ یا حملہٕ نِشہِ بچنہٕ باپتھ بناونہٕ چھُ یوان۔

قِلہٕ پاوُن :-۱۔کانہہ مُشکِل کٲم اَتھس منز اَنٕنۍ۔کانہہ تھکٕنۍ لایق کٲم کرٕنۍ۔ کانہہ بٔڈ کأم۔ تیٚتھ کینٛہہ کرُن یُس ہاوُن لایق آسہِ۔۲۔رازدأنۍ فتح کرٕنۍ۔

قیمہٕ :- [ن۔مؤل: قیم <ع: قیمۃ]۔ زأوِج زٕنتھ مٲز۔ کُفتہٕ۔

قرات :-[م۔مؤل: قرأت <ع: قرأت]۔پرٕن۔ تہٕ دٕپتھ گوصحی تہٕ درٛس تلفظٕ سان قرآنِ شریف پرٕن۔

قِسم :-[ن۔مؤل: قِسم <ع: قِسم]۔ذاتھ۔جِنس۔

قِسم وار :- رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ ذأژ، بیوٗن بیوٗن ذأژ۔ واریاہ جِنس۔

قِسط :-[ن۔مؤل: قِسط <ع: قِسط]۔ وۄ زِمہٕ منٛز واپس کوٚرمُت یا کرُن کیُت کانہہ حصہٕ۔ تیٚژ حصہٕ یٚژ اَکہ اَکہ پھِرِ دِنہٕ یِیہ۔۲۔سرکأری مأل یہ۔

قِسمتھ :-[ن۔مؤل: قِسمت <ع: قسمۃ]۔۱۔لون۔ طالع۔ تقدیر۔ نٔصیبہٕ۔ بخت۔۲۔ یہ بأگس لیکھتھ آسہِ۔

قِسمتَس آسُن :- باگہِ آسُن۔ نصیبس لیکھتھ آسُن۔ تقدیرس منز آسُن۔

قِسمتہٕ وول :-یَس جان قِسمتھ آسہِ۔ باگوان۔ خوش قِسمتھ۔ پھرٕ ژٕ انسان۔

قِسمتھ ازماوُن :- کانہہ کٲم بیترٕ کٔرتھ تقدیر پرکھاوُن۔ لون ازماوُن۔

قِسمتھ پھیرتھ گژھُن :- خراب دوہ یِنۍ۔ بدبختی یِنۍ۔

قِسمتھ پھیرُن :- جان دوہ یِنۍ۔ نٔصیبہٕ جاگُن۔

قِسمتھ جاگُن :- قِسمتھ پھیرُن۔ جان دوہ یِنۍ۔

قِسمتھ چمکُن :- وُچھو ''قِسمتھ پھیرُن''۔

قِصہٕ:-[ن۔مؤل:قِص<ع:قصۃ] کتھ۔داستان۔ڈلیل۔

قِصہٕ خٲنی:-۱۔زیٹھ ڈلیل۔۲۔ورگہٕ ٹٲنہٕ، ٹسنہٕ، ٹسولہٕ۔

قِصہٕ کرٕنی، قِصہٕ خٲنی کرٕنی:-ہبڈٕن گیلُن۔ ٹٲنہٕ ژٹنۍ۔ٹسنہٕ کرٕنی۔

قِصہٕ موکلاوُن:-نِیاے اُنزراوُن۔تنازٕ ختم کرُن۔ جگرٕ طے کرُن۔

قِطہٕ (قطعہ):-[<ع: قطعہ]۔۱۔شاعری ہُند اکھ صِنف، یُس کمہٕ کھوتہٕ کم ژون مِصرن ہُند آسان چھُ تہٕ اَتھ منز چھُ اکھ پوٗرٕ مضموٗن گنڈنہٕ آسان آمت۔۲۔چھل ٹکرٕ۔

قِلتھ:-[م۔مؤل:قِلت<ع:قلۃ]۔کس کٲلی۔تنگی۔کمی۔وبڑھے۔

قِلتھ گژھٕنی:-کانْہہ چیز کول گژھن۔نہ بوٗن گژھن۔بازرس منز کینْہہ سبٹھاہ کم مقدارس یا تیدادس منز آسُن۔

قِدی:-[مؤل:قِدی<ع:قید+ف:ی]۔باندی۔یُس بند آسہِ (کرنہٕ آمت) یُس قٲد آسہِ یا قادس منز آسہِ۔

قِمتھ:-[ن۔مؤل:قِمت<ع:قیمۃ]۔۱۔مول۔تہٕ یہٕ کانْہہ چیز لَو۔۲۔مرتبہٕ ہُد۔۳۔قدٕر۔

قِمتی:-[<ع:قیمۃ+ف:ی]۔۱۔مولُل۔یتھ تھوٗد مول آسہِ۔تھَدِ قِمتُک۔۲۔یتھ قدٕر کرٕنی شوٗبہِ۔ قابِل قدٕر۔

قُبہٕ:-[ن۔مؤل:قُب<ع:قُبۃ]۔بڑنگ۔کلس۔

قُرق:-[ن۔مؤل: قُرق<ع: قُرق]۔ضبطی۔کینْہہ ضبط کرنک عدالتی حُکم۔

قُرق اُنُن:-جاداد بیتر ضبط کرنک عدالتی حُکم۔

قُرق کرُن:-ضبط کرُن۔

قُرق نامہٕ:-جاداد بیتر ضبط کرنک عدالتی حُکم۔ ضبطی ہُند پروانہٕ۔

قُریش:-[مؤل: قُریش<ع: قُریش]۔عربُک اکھ مشہوٗر تہٕ یزتہٕ وول قبیلہٕ، پیغمبرِ اسلام حضرتِ محمدؐ ٲسی اَمی قبیلہٕ منزٕ۔

قُریشی:-قُریش، قُریشو منزٕ۔مُسلمانن ہنز اکھ کرام۔

قُرآن:-[ن۔مؤل:قرآن<ع:قرآن]۔کلام اللہ۔ فُرقان۔کلامہِ الٰہی یُس آنحضرتن پیٹھ نازِل سپُد۔

قرآنس پیٹھ اَتھِ تھوُن:-پوٗرٕ یقین بیہناوُن۔
قرآن اَتھس کیتھ تُلتھ تمیُک قسم ہاوُن۔

قُرآنِ حکیم:-سُہ قرآن یُس حکمتہٕ برِتھ چھُ۔

قُرآنِ کریم:-سُہ قُرآن یُس پرٕتھ رنگہٕ قابلِ یزتھ چھُ۔

قُرآن مجید:-[ن۔مؤل: قرآنِ مجید<ع: قرآنِ مجید]۔تھدِ پایُک کتاب۔کلام اللہ۔ مُسلمانن ہنز مقدس کتاب یوسہٕ حضرت محمدؐ صابن پیٹھ نازل سپز۔

قُرآن تُلُن، قُرآن کرُن:-قُرآنِ شریفُک قسم

ہاوُن۔ قرآنِ شرٖیفُک سوال دِیُن۔

**قُرآن تولُن** :- (گرِ منٛز بلایہِ دوٗر کرنہٕ پُژھی) صُبحس اَفتابہٕ کھسنہٕ بروٚنٛہہ تٕرٛ کرِہندِس اَکِس پأترِس منٛز قرآن تہٕ بیٛیِس منٛز آب تھٲوِتھ وَزَن برابر کرُن تہٕ پتہٕ آبس قٕہوٕ کرِتھ گرِکی سارِی بأژ چاوٕنی۔

**قُرآن تھَوُن** :- کأنٛسہِ قرآنُک قسم تھَوُن۔ قرآنُک پاس دیُن۔ پانس پٔژھ بیہناوٕنی۔

**قُرآن خان** :- [ح ع: قُرآن +ف: خواں]۔ یُس تلاوت کران آسہِ۔ قُرآن پرَن وول۔

**قُرآن سَرُن** :- ا۔ قُرآنس منٛز یہِ کینٛژھا خوداین فورموٗتِتھ پٔتھ پکُن یا عمل کرُن۔

**قُرآن کرُن** :- قُرآنِ شرٖیفُک قسم ہاوُن۔

**قُرآن کلس پٔٹھ تُلُن** :- تھوٚد وٚتھی وٚتھی قسم ہاوٕنی، کُنہِ پأٹھی نہٕ مٔنِتھ ہیوٚن۔

**قُرآن کلس پٔٹھ ہیٚون** :- قطعی اِنکار کرُن۔ قرانُک قسم ہأوِتھ اِنکار کرُن۔ کُنہِ رَنگہِ نہٕ مٔنِتھ ہیٚون۔

**قُرقی** :- [م۔ مؤل: قُرقی ح ع: قُرق] ضبطی۔ کینٛہہ ضبط کرنُک عدالتی حُکم۔

**قُرقی وَسنٛز** :- کأنٛسہِ ہُنٛد جاداد بیترِ ضبط سپدنہٕ باپتھ عدالتُک اِجازَتھ دِیُن۔

**قُرقی وانٛز** :- کأنٛسہِ ہُنٛد جاداد بیترِ ضبط کرنہٕ باپتھ عدالتُک اِجازتھ اَنُن۔

**قُشوٗن** :- [ن۔ مؤل: قُشوٗن ح تُرکی۔ قُشون]۔ ا۔ فوجُک دَستہٕ۔ فوج۔ لشکر۔ ۲۔ قبیلہٕ کرُن۔ م: مالنٛی قُشون۔

**قُطُب** :- [ح ع: قطب]۔ ا۔ اَکہِ جایہِ روزوُن تارُکھ۔ دٕرٛوٚ تارُکھ۔ ۲۔ بُترأژہِ ہنٛدی شُمألی تہٕ جنوٗبی اَنٛد۔ ۳۔ صوٗفی نظامس منٛز تھدِ کھوتہٕ تھوٚد مرتبہٕ تھاوَن وول۔

**قُطُب نُما** :- [ن۔ مؤل: قُطب نُما ح ع: قُطب +ف: نُما] اَکھ اوزار ییٚمچہِ سوٗنہٕ ہُنٛد پیٛوت پرٕتھ وِزِ شُمالس یا کھووٕرِس کُن پھیران چھُ۔

**قُطبِ جنوٗبی** :- بُترأژہِ ہُنٛد جنوٗبی اَنٛد۔

**قُطب شُمألی** :- بُترأژہِ ہُنٛد شُمألی اَنٛد۔

**قُطُب مینار** :- دِلہِ منٛز اکہِ مینارُک ناو یُس قُطب الدین ایبک ناؤی شہنشاہن بنوو۔

**قُلی** :- [ن۔ مؤل: قُلی ح تُرکی: قُلی]۔ موٗزوٗر سامانہٕ بیترِ سارَن یا تُلَن وول۔

**قُلُف** :- [ن۔ مؤل: قُلف ح ع: قُفل]۔ سُہ آکہِ ییٚمہِ ستیٚ دَرواز، صوٚنٛدوٗق بیترِ بنٛد روزِ۔

**قُلُف کرُن** :- ا۔ قُلُف دِتھ تھَوُن۔ ۲۔ نیٚبرِ کنِ قُلُف دِتھ کانٛہہ بنٛد کرُن۔ ۳۔ (ورگہِ پأٹھی) ضبط کرُن۔ قُرق سپدُن۔

**قُلفس تَل تھَوُن** :- کانٛہہ چیز بیترِ بنٛد تھَوُن۔ کانٛہہ چیز بیترِ کُنہِ ژٕٹھ جایہِ تھَوُن ییٚتہِ پتہٕ دوٚیِمِس سُنٛد اتھہ واتہِ نہٕ۔ شیٖرِتھ سَنٛبألِتھ تھَوُن۔

**قُلفی۔ قُلفی** :- [م۔ مؤل: قُلفی ح ف: قُلفی]۔ ا۔ قالبس

منز یکجا گرِتھ شٔھراوِ مَتہٕ دودٕ، مُدرپر تہٕ گوجن
بیترِ ہنز گوٗلکی ۔۲۔ سَرتلہٕ یا بیٚیہٕ کُنہٕ داتک
بنومُت سُہ نور ہیوٗ ہ۔ یتھ منز نیٖہ ہُنٛد اَکھ اَنٛد بَنٛد
چھُ روزان تہٕ یُس تموک چَنہٕ وِزِ جٔجیرِ ہنٛدِس
گلِس منز تھَونہٕ چھُ یوان۔

قُماش:-[مؤل: قُماش <ع: قُماش]۔۱۔ ذاتھ۔ خصلتھ۔
مِ ہُنٛد قُماش لوکن چھُنہٕ ازتہٕ کُنٛی ۔۲۔ دوٗلت۔ لباس

قُمٕر:- [ن۔مؤل: قُمر <ع: قمری]۔ اَکھ بول بوش
کرٕوٗن جاناوار۔

قوٗلنج، قوٗنج:-[م۔مؤل: قوٗلنج <ع: قولنج]۔ <یونانی:
کولہٕ کوس]۔ بڑٕن أندرمن ہنز اکھ بیمأری۔
بڑس أندرمَس یا گِہ نأرس گومُت وَٹھ۔

قوٗلنج گرٛھنہٕ:-وَٹھ گرٛھن۔ أندرمَن دود کرنہٕ
ستی سَخ پیچھ ترٛٔ۔

قوٗبوٗل:-[ن۔مؤل: قوٗبوٗل <ع: قبول]۔ موٗنمُت۔
منظوٗر۔ تسلیم۔

قوٗبوٗل کرُن:-کانٛہہ یا کینٛہہ مانُن، منظوٗر کرُن۔
تسلیم کرُن۔

قوٗبوٗلیتھ:- [م۔مؤل: قوٗبوٗلیت <ع: قبولیۃ]۔
منظوری۔ آنکار۔

قوٗصوٗر:-[ن۔مؤل: قوٗصوٗر <ع: قصور]۔۱۔ خطا۔
تقسیر۔ غلطی۔ رَتہٕ۔۲۔ اَتُر یا گوناہ۔۳۔ عاب۔
بیمأری۔ مِ: دِماغی قوٗصوٗر۔

قوٗصوٗروار:-رَتہٕ زَد۔ یُس راہ آسہِ۔ یُس تقصیر آسہِ۔

قوٗصوٗری:-یُس کانٛہہ لاگ وار بیمأری بیترِ آسہِ۔ یُس
کُنہِ قسمُک کانٛہہ عاب آسہِ (جِسمس)۔

قوٗیطوٗن:-[ن۔مؤل: قوٗیطون <تُرکی: قیطون] پنٛچ
وٗنتھ ڈوٗر ہش۔ یوسہٕ پھیرُن بیترِ نالس یا دامنس
لاگان آسی۔۲۔ دود۔

قوٗبوٗ:-[ن۔مؤل: قوٗبوٗ <ع: قابو]۔۱۔ قبضس یا اَتھس
منز آسُن۔۲۔ موچھِ منز اوٚنمُت۔

قوٗبوٗ آسُن:-۱۔ کُنہِ پیٹھ تھپھ آسنہٕ۔ کانٛہہ یا کینٛہہ
یختیارس منز آسُن۔۲۔ بَنٛد آسُن۔ تل آسُن۔
ییل اَنُن۔ رَٹُن۔

قوٗبوٗ کرُن:-ییل اَنُن۔ رَٹُن۔

قوٗبوٗہس منز اَنُن:-ییل اَنُن۔ موچھِ منز اَنُن
اَتھس منز اَنُن۔ تل تھاوُن۔

قوٗبوٗہس منز آسُن:-اَتھس منز آسُن قبضس منز
آسُن۔ لِگتھ آسُن۔ بَنٛد آسُن۔

قوٗروٗن:-[ن۔مؤل: قوٗروٗن <ع: قارون]۔۱۔ بنی
اسرائیل قوٗمُک اَکھ مشہوٗر دیارٕ وول تہٕ کونجوٗس
شخص۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کونجوٗس۔ کوٗنٛڈ۔

قوٗروٗنہٕ سُنٛد خزانہٕ:-(ورگہٕ) تیٚژ دولتھ یوسہٕ سہل سہل
موکلہِ نہٕ۔ حدٕ روس دنہٕ دیار تہٕ لال جوأہر۔

قوس:-[ن۔مؤل: قوس <ع: قوس]۔۱۔ کھُر۔ وَر۔
سبز رنہٕ آسُن۔۲۔ آرُک یا دأیرُک اَکھ حصہٕ۔

قوس یُن :- کھر یُن ۔ ٹھونٹھ ینٛز ۔ پھیرِ پیٚون ۔ نیاے ووتھُن ۔

قوسِ قزح :- [م ۔ مؤل: قوسِ قزح ﴿ ع: قوسِ قزح] سوٚزل ۔ رام رام بدرِنی ووٚنی یا بوٚنی ۔ تاپس منٛز روٗد پیٛنہٕ ستیٚ یوسہٕ رَنگدار کمان ہش اسمانس پیٹھ بوزنہٕ یوان چھےٚ ۔

قول :- [ن ۔ مؤل: قول ﴿ ع: قول] ۔ زبو ۔ لفظ ۔ دوٚپ ۔ وادٕ ۔

قولہٕ سور :- یُس وادٕ پوٗر کرِ ۔ وادٕ پالَن وول ۔ یُس پنٛنِس لفظس پیٹھ آسہِ ۔ م- قولہٕ ساریواز وٕلو میہمان ۔

قولہٕ قرار :- عہدِ پیمان ۔ وادٕ ۔ پانہٕ وٲنی کتھ باتھ ۔ زبٲنی ماہدٕ ۔

قول دِین :- زبو دِنی ۔ لفظ کرُن ۔ وادٕ دِیُن ۔

قوم :- [ن ۔ مؤل: قوم ﴿ ع: قوم] ۔ ا ۔ اَکی زٲژ، فرقکی یا جمٲژہنٛدی لوٗکھ ۔ ۲ ۔ اَکِس مُلکس منٛز بَسن وٲلی لوٗکھ ۔

قومی :- مُلکک ۔ قومُک ۔ یتھ کُنہِ قومس ستیٚ توٚلُق آسہِ ۔

قونوٗن :- [ن ۔ مؤل: قونوٗن ﴿ ع: قانون] ۔ ا ۔ کُنہِ یختیارٕ واجنہِ جمٲژ لوٗکن ہنٛدِ خاطرٕ بنوومُت دوٚستوٗر یا کھرٕ کوٚرمُت کانٛہہ اوصول ۔ ۲ ۔ قاَیدٕ، ضابطہٕ ۔ ۲ ۔ رَسمہٕ رِواج ۔

قونوٗن دان :- یُس قونوٗن زانان آسہِ ۔ یَس قونوٗنہٕ کِبن زٲوِی جارَن پیٹھ نظر آسہِ ۔

قونوٗن دٲنی :- قونوٗنچ وٲقفیت ۔ قونوٗن زانُن یا تمیُک خبر آسٕنۍ ۔

قونوٗن گو :- محکمے مالک اَکھ اہلکار ۔

قونوٗن وَنٛنۍ :- لوکُٹ مامَلہٕ اَستہ بَجہٕ بَجہٕ یا اورچہٕ یورچہٕ کتھِ تارنہٕ ۔

قونوٗنَن :- قونوٗنہٕ موٗجوٗب ۔ قونوٗنہٕ حسابہٕ ۔ قونوٗن نظرٕ تَل تھاوِتھ ۔

قونوٗنی :- ا ۔ سُہ یُس قونوٗنس پیٹھ پکان آسہِ ۔ قونوٗن زانَن وول ۔ یُس قونوٗنچ خبر آسہِ ۔ ۲ ۔ (ہزلہٕ پاٹھی) سُہ یُس اِنسٲنی یتھ تزٲوِتھ صِرف قونوٗن چھکان آسہِ ۔

قودرَتھ :- [مؤل: قودرَت ﴿ ع: قدرتہ] ۔ ا ۔ خودٲیی طاقتھ تہٕ دِتھ گوِیہ کینٛژھا اِنسان ہنٛدِ یختیار نبر آسہِ ۔ ۲ ۔ کراماتھ ۔

قودرَتھ ہاوِنۍ :- کانٛہہ ناقابِلِ باوَر کمال ہاوُن ۔ کراماتھ کرِنۍ ۔ کینٛہہ تِیُتھ کرُن یِیہ نہٕ دُچھمُت یا بوزمُت آسہِ ۔

قودرٕتی :- ا ۔ قودرتُک ۔ تہٕ کینٛژھا یتھ اِنسان ہنٛز کوٗششہِ ستیٚ واتھ آسہِ نہٕ ۔ کوٗششہِ ورٲے پانے ۔ اورےٚ ۔ طبعی ۔ م ا: وارِیاہ گٔلی چھہِ قودرٕتی کھسان ۔ م ۲: سُہ آوا ورٕ قودرٕتی تہٕ بہٕ بچوس چوبوٗنٛش ۔

قودرٕتی رَنگ :- خودرنگ ۔ اصلی رَنگ ۔ ذٲتی رَنگ ۔

قورب :- [ن ۔ مؤل: قورب ﴿ ع: قُرب] ۔ پانٛہٕ نیار ۔

نزدیکی۔

قوربہٕ جوار:۔اوٚنٛد پوٚکھ۔آس پاس۔

قوربَتھ:۔[ن۔مؤل:قوربَت <ع:قُربتہ]۔''وُچھوٚ'' قورَب۔

قوربان:۔ [ن۔مؤل: قوربان <ع: قُربان ]۔ ا۔بَلایہ،وُنٛدِتھ۔چھیٚپہ۔۲۔(بجہٕ عیٖز)حضرت اِبراہیمؑ سٕنٛدِ سونتہٕ مُطأبِق مُسلمانن ہُنٛد سُہ کٕٹھ ییٚترِ یُس ذبح کٔرِتھ بأگرنہٕ یوان چھُ۔

قوربان کٕٹھ:۔ا۔سُہ کٕٹھ یُس بجہٕ عیٖز دوہ قوربان کرنہٕ ییِہ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سُہ یُس کأنٛسہِ ہٕنٛدِ بدل چھیٚپہ ییِہ دِنہٕ یا چھیٚپہ لگہِ۔

قوربان کرُن:۔ا۔چھیٚپہٕ دِیُن، بَلایہ دِیُن۔بَلی دِیُن۔ ۲۔کینٛہہ یا کانٛہہ خودایہٕ سٕنٛزِ وَتہٕ دِیُن یا مَنساوُن۔

قوربان گژھن:۔ا۔ چھیٚپہٕ لگُن، بلایہٕ لگُن۔ ۲۔فِدا گژھن۔بأرِ لگُن۔

قوربان گاہ:۔ییٚتہٕ قوربان کرنہٕ یوان آسہِ۔ قوربان کرنچ جاے۔ییٚتہٕ بَلی آسہِ دِنہٕ یوان۔

قوربأنی:۔[م۔مؤل:قوربأنی <ع:قُربان+ف۔ی] ا۔بَلی۔کانٛہہ یا کینٛہہ خودایہٕ سٕنٛزِ وَتہٕ دِیُن۔ ۲۔کانٛہہ مقصد حأصِل کرنہٕ خأطرٕ تکلیف ییٚترِ تُلُن۔

قوربأنی دِنی، کرٕنی:۔ا۔کانٛہہ چیز ییٚترِ خودایہٕ سٕنٛزِ وَتہٕ دِیُن۔بَلی دِنی۔۲۔کُنہِ مقصدٕ خأطرٕ تکلیف تُلُن۔زُوگالُن۔

قورمہٕ:۔[ن۔مؤل: قورم <ترُکی: قُورمہ] اَکھ سٔیُن یتھ ژُرِ مَرٕژ وانگن تٕرٛاونہٕ یوان چھِ۔

قوطب:۔ [مؤل: قوطب <ع:قطب ]۔اِسلأمی سوچَن تٕرٛایہِ کُنٛ سُہ ؤلی یُس ٕنٛد بن اَتھَن منٛز کُنہِ علاقُک انتظام ییٚترِ آسان چھُ۔صوٗفی نظامَس منٛز تھَدِ تھوٚد مرتبہٕ تھاوَن وول۔

قوطب زَمان:۔وقتُک بوٚڈ ہیوٗ ؤلی یا دَرویش۔ ووتمُت فُقیر۔توٚت دَرویش۔

قووَتھ:۔ [ن۔مؤل: قووت <ع: قوۃ ]۔ ہِمَتھ۔ طاقتھ۔زور۔زُو۔سکتھ۔

قیس:۔[ن۔مؤل:قیس <ع:قیس]۔مجنوٗن۔لألہِ ہٕنٛدِس عاشقہٕ سُنٛد اصلی ناو۔

# ک

ک:۔فارسی یِک پٕنٛژہٕیُم،اُردوٗ ہُک اَٹھوٛہیُم تہٕ کأشُریک تیٚیہِ ترٕٛہیُم اَچھُر۔اَبجد حسابہٕ چھُ اَتھ وُہ(۲۰) مول۔

کبَڈھ:۔[ن۔مؤل: کبٹ <م۔ہ: کبڈی]۔اَکھ کھیل۔ اَکھ گِنٛدُن یتھ منٛز اکھأ رِکس بُتھِ ژُرِ چھِ آسان، دوشوٚنی طرفن ہٕنٛدی بأچ چھِ وارِ وارِ دوٚیمِین ہٕنٛدِس بَنٛس منٛز تران، یوٚ دوے ییٚتہِ دَرِ رِکس بَنٛس منٛز کبٹی ترن وول رٕٹنہٕ آو یا شاہ

پھٹُس تہٕ کاٰنٛسہِ دِتُس ٹاس سُہ چھُ ہاران۔

**کبٕژھ کبٕژھ:**- سو آواز یوٚسہٕ دٕویمہِ دٕرِکس بٔنِس منٛز کبڈی گِندن وول ترَن وِزِ یہِ ہاوَنہٕ باپتھ زِ شاہ چھُس نہٕ پھُٹمُت ڈرراوان گژھان چھُ۔

**کبٕژھ لاگٕنی:**- ۱۔(ورگہٕ پاٹھی) دٕو دٕو کرٕنی۔ دماٗلی کرٕنی۔ ۲۔ نیاے لاگُن۔ نیاَیس منٛز دوشوٕنی دٕرہن ہُندطرف کرُن۔

**کبٕٹی گِندُن:**- (ورگہٕ) اکہِ اکہِ ساٗری پاوٕنی۔

**کبڈی:**- وُچھو "کبٕژھ"۔

**کبابہٕ (کباب):**- [ن۔مؤل: کباب <ف: کباب] اَکھ ضیافتھ۔ یَمِس پٹھ بُزتھ یا تُلتھ تیار کرنہٕ آمُت مَژھ۔

**کبابہٕ کرٕنی:**- ۱۔(ورگہٕ) زَدٕکوب کرُن۔ سخ چوب دِنی۔ سخ تکلیف دِیُن۔ سخ عذاب کرُن۔ ۲۔(ورگہٕ) کاٰنٛہہ لولہٕ موٚت کرٕیشہِ ناوُن۔

**کبابہٕ گژھنی:**- ۱۔(ورگہٕ) سخ دوکھ تُلُن پیوٚن۔ سخ تکلیف واتُن۔ ۲۔(ورگہٕ) سخ کرٕیشن پیوٚن۔ کُنہِ چیز باپتھ کرٕیشنہٕ کٕنی یا کاٰنٛسہٕ ہنٛدِ دادِ عذاب گژھُن۔

**کبابہٕ گنڈ:**- اَکھ کبابہٕ۔

**کباکوٹ:**- [ن۔مؤل: کباکوٹ <ع: قبۃ/قبع] پھَھہِ کوٹ، پھاسی۔ سُہ کوٹ یتھ اوٚیزان ترٛاوِتھ پھاسی دِنہٕ یِیہ۔

**کباکوٹُس کھارُن:**- (ورگہٕ) بدنام کرُن۔

**کباٹٕی:**- [مؤل: کباب]۔ ۱۔ کبابہٕ کٔرِن بناون وول۔ ۲۔ اَکھ کرٛام۔

**کباڈی:**- [ن۔مؤل: کباڑ <س: کہ+پُر] سُہ دُکاندار یُس پرٛوٚن سامانہٕ یاپَلو بیترِ ہیوان یا کِنان آسہِ۔

**گبہٕا:**- [م۔مؤل: کب <؟]۔ کھونہٕ وَٹہٕ پیٹھ بروٚنٛہہ گُن نَرِ۔

**کبہٕ میننہِ:**- نَرِ وانہِ۔ ژوٗ ژوکرٕنی۔ اَکھاٗ رِکس مُشتہٕ لاینہٕ۔

**کبہٕ۲:**- [ن۔مؤل: کب <ع: کبیر]۔ کُبر لفظُک ژھوٚٹ۔

**کبہٕ لالہٕ گژھُن:**- کلُن۔ وقتہٕ وِزِ کتھ نہٕ پھورٕنی۔

**کپ:**- [ن۔مؤل: کپ <انگ: کپ Cup]۔ ۱۔ پیالہٕ، کھوس۔ سُہ لوکُٹ بانہٕ یتھ منٛز چاے بیترِ چوان چھِ۔ ۲۔ سُہ خۄبصورتھ پیالہٕ ہیوٚہ یُس ینامہٕ کنہِ دِنہٕ یِیہ۔

**کپٹھ:**- [ن۔مؤل: کپٹ <س: کپٹہ]۔ دوکھ، دَغا، فند، فریب۔

**کپٹھ ژٕربتھ:**- مکاٗری، پاکھنڈ۔

**کپس:**- [م۔مؤل: کپس <س: کرپاسہَ]۔ ۱۔ پھٔمبک سُہ قٕسم یُس کپسہِ ٹوٚٹھن نیران چھُ، کتنہٕ اتھر، اتھر یتھ کٔتتھ کپُر بیترِ وونان چھِ۔ ۲۔ تمہ گُلی یمن کپس نیران چھےٚ۔ ۳۔(ورگہٕ پاٹھی) زال تال، ٹال مٹول۔ یَب۔

**کپس ٹٕلنٕی:**- کپسہِ گُلو پیٹھ کپس سوٚمبراوٕنی، خام

ستھرٕ کُلو پٹھٕ ٹُلتھ اُکس جایہ تھوٗن۔

کپٕس کڈٕنۍ:-۱۔وُچھ "کپس ٹُلٕنۍ" ۲۔(ورگہ) بییہ تہٕ بییہ کتھ پرٕ ژھنٕنۍ۔ کتھن کوڈ کاڈٕ کڈان روزان۔

کپٕس وَٹٕنۍ:-تہٕ وُنن یتھ کانُہہ بُٹر یاد آسہٕ نہٕ۔ ٹرِوَٹٕنۍ۔ اوُرک یور وُنن۔

کپسہٕ پوش:-۱۔ کپسہٕ گُلیک پوش۔ یتھ کپس نیران چھےٚ۔ ۲۔ (ورگہ پاُٹھۍ) بےٚ مُروتھ اُشناو یا زاُنۍ کار یُس نہٕ پلزی۔ م: ہرٕ پوش۔

کپسہٕ ٹوٗر:-وُچھو "کپسہٕ پوش"

کپسہٕ ٹوٚٹ:-کپسہٕ بیول، سُہ دانہٕ یُس کپسہٕ منٛز آسان چھُ تہٕ یتھ کپسہٕ گُل کھسان چھُ۔

کپسہٕ ٹوٗتھ:-ژیری، گُنڈی یا ٹوٗڈی بیترٕ یم کپسہٕ ستۍ آسان چھہٕ۔

کپسہٕ ژُج:-بڈٕ زمینہٕ پَٹ چھل۔ یتھ کپس بوان آسہٕ۔

کپسہٕ ڈار:-۱۔سوخوٚشکھ زمینہٕ چھل۔ یتھ کپس وَونہٕ آسہٕ یوان ۲۔ کپسہٕ ستۍ بُرتھ خوٚشکھ زمینہٕ چھل۔

کپسہٕ گُل:-سُہ ڈکھ۔ یتھ کپس نیران چھےٚ۔

کپسہٕ کوٚتھ:-۱۔ کپسہٕ بور، کپسہٕ بنڈل۔ ۲۔(ہزلہ) وَوٚتھ پُٹھ (انسان)۔

کپسہٕ کوٚتھس کان:-۱۔تہٕ ڈیٚتھ گوتہٕ کینژھا کرُن۔ یتھ نہٕ کینہہ تہٕ حاصل یِیہٕ۔ ۲۔ کانُہہ تختہٕ مشق بناوُن۔

کپسہٕ کوڈ:-سُہ یُس کپسہٕ منٛز ٹوٗڈی الگ کڈان آسہٕ۔

کاڈی یَنٛدرٕ چلاوَن وول۔

کپال:-[ن۔ موٗل: کپال <س: کپلہٕ] کلہٕ، کلہٕ ہیر۔ کلہٕ کھاپر۔

کپالہٕ مال:-کلہٕ ہیرہن ہنٛز مال۔

کپالہٕ موٗزٕن:-شُیٛ یَنہٕ اکھ ترٕتھ ییتہٕ بٹہٕ شرٕہن شرٕ ادچھ ہاوان۔

کپاٗرۍ:-کمہٕ وَتہٕ کمہٕ طرفہٕ، کمہٕ اَنٛدٕ۔

کپاٗرِ کنۍ:-۱۔ کمہٕ وَتہٕ، کمہٕ طرفہٕ۔ ۲۔ کتھٕ کنۍ۔

کپاٗریم:-کمہٕ اَنٛدُک، کمہٕ طرفُک، کمہٕ پاسُک، کمہٕ جایہ ہُنٛد۔

کپٹۍ ۱:-[موٗل: کپٹ <س: کپٹی]۔ یُس اَندرٕ اکھ تہٕ تہٕ نیٛبر بیا کھ کتھ آسہٕ کھوٚٹ اِنسان، کوٹیل۔

کپٹۍ ۲:-[<س: کرٕتنہٕ+پاٹنہٕ] چھلہٕ، ٹکرٕ، کھنٛجہٕ م: کھٹۍ۔

کپٹۍ کرٕنۍ:-ٹکرٕ کرٕنۍ۔ پھٹرُن۔

کپٹۍ گژھنۍ:-ٹکرٕ گژھنۍ۔ پھُٹتھ اکھ کھنٛڈ اکہٕ طرفہٕ تہٕ بیا کھ کھنٛڈ بییہٕ طرفہٕ پیٚنۍ۔

کپر:-[ن۔ موٗل: کپر <س: کرپٹہٕ]۔ کُٹھ بیرس ستھرس بیترٕ ودنہٕ آمٕت سُہ چیز یُس وَلو، وَرِدیا وتھرُن بیترٕ ترٕاوٕ۔ ستھرس بیرس بیترٕ ووٚنمت سُہ چیز۔ یتھ پلو بیترٕ بناوان چھہٕ۔

کپر تلِم:-کپر ربل۔

کپر ترٕ:-اُنٹ کھنٛڈ کھُج کپر تلِم۔

کپر تھان:-ولنہٕ پٹھٕ وولمت خاص میٛژ کپر یُس

ژٕٹنے آسہٕ ۔

کپَر چھَل :- زیوٗٹھ پھَن کپَر ٹکٕر ۔ کپَر رَنٛد ۔

کپَر دور :- کپر ژادَر ۔

کپَر زیٖٹھ :- سو ٔکھرٕ ہیترٕ یوسہٕ کپُر کپٹاونہٕ وِزِ نیران چھےٚ ۔

کپَر ربَل :- زٕ یتھ کپَر ترٕ یتھ کھجر کم آسہٕ ۔

کپَر زوو :- ا۔ سو زوو یوسہٕ پکوس لاریتھ یا ژوٚپ ہیتھ روزِ ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سُہ یُس (پٹُن مطلب کڈنہٕ موکھہٕ) اَگادِ گژھتھ پتہٕ تھپے ٹلہ نہٕ ۔

کپَر ژادَر :- وَلنہٕ یا وَتھرِ نہٕ باپتھ کپَر دور ۔

کپر ژٕمٹھ :- نوٚو پوشاکھ لاگنس پتھ کاٚنسہٕ ژینٛز ہیٚنٛز ۔

کپَر مقراض :- (ورگہٕ) سو یوسہٕ کتھ کتھِ پتھ ژوِ لڑایہ گرِنی ۔

کپور :- [< س: کہ+ پُر ] ۔ کتھ طرفس، کور ۔

کپتان :- [مؤل: کپتان < انگ : کیپٹن: Captain]
ا۔ میجرس وُستھ فوٗجی اَفسر ۔ ۲ ۔ گُنہِ گِندَن دَریٖک زیٚٹھ ۔

کپٹن :- [م ۔ مؤل: کپٹن < س: کرتنہ+ پاٹنہ ] ۔ ا۔ پلو کپٹاوُنک باش، گاٹہٕ ۔ ۲۔ پلو کپٹاونک طرز ۔ ۳۔ گرٕنی، بناوٹھ ۔ ۴۔ پلو کپٹاونہٕ پتہٕ رُوٗزمُت ژھتھ ۔

کپٹن آسنی :- پلو ہیترِ کپٹاوُنچ ہونَر زانان آسُن، ہنرٕ کامہِ ہُنٛد باش آسُن ۔

کپٹن زانٛنی :- پلو کپٹاوُنی لگنی ۔ پلو ہیترِ کپٹاونک گاٹہٕ آسُن، کپٹنہٕ ہنرٕ ہونر آسنی ۔

کپٹَن کڈِتھ نِنی :- پٹنی چھل کڈِتھ نِنی ۔

کپٹَن ہیٚنٛزی :- ا۔ ترٛاش ہیوٚن ۔ ۲۔ پٹنی ہَن کڈِتھ نِنی ۔

کپٹاوُن :- ا۔ مقراضہِ سٟتی ژٹُن (کپُر ہیتر) ۔ ۲۔ کھنٛجہِ کرنہٕ، قاشہِ گرنہٕ ۔

کپٹاوناوُن :- ا۔ بیٚیس اَتھہِ سُونہٕ باپتھ کپُر حسابہٕ حسابہٕ مقراضہِ سٟتی کٔرِ پہ ناوُن ۔ ۲۔ قاشہِ کرناونہٕ، کھنٛجہِ کرناونہٕ ۔

کپٹُن :- [ن ۔ مؤل: کپٹ < وُچھو ۔ کپٹن ] ۔ مقراضہِ سٟتی ژٹُن، ترٛاش ہیٚنٛز، قاشہِ کرنہٕ، کھنٛجہِ کرنہٕ ، ترٕ کرنہٕ ۔

کپٹُمت :- [ن ۔ مؤل: کپٹ < وُچھو : کپٹن ] ۔ مقراضہِ ہیترٕ سٟتی ژٕوٹمت ۔ ۲۔ یتھ ٹکٕر آسَن کرنہٕ آمٕتی ۔ یتھ قاشہِ کرنہٕ آسَن آمٕژ ۔

کپُر :- [ن ۔ مؤل: کپُر < س: کرپٹہ ] ۔ پلو پوشاکھ ۔

کپُر ژھنٛزی :- پلونٲنی لاگنی ۔ لباس لاگُن ۔

کپھل :- [م ۔ مؤل: کپھل <؟ س: کپھ+ اَل ] ۔ اَکھ وُسنی بوٗٹی ۔

کتال :- [مؤل: کتال < س: کتھا+ اَل ] ۔ واد واد گوژر ۔ یُس کتھ کتھِ پتھ ہَر ملناوِ ۔

کتہٕ :- [< س: 'کہ' شبد ۔ کُتر ] ۔ ا۔ کتھ جایہ ۔ ۲۔ کمہِ جایہِ پتھٕ ۔ ۳۔ کر ۔ کمہِ وقتہٕ ۔ ۴۔ کتھٕ پاٹھی ۔ کمہِ طریقہٕ ۔ ۵۔ کُہُنٛد ۔ ۶۔ کیٚتھ ۔

کتہٕ تام:- کتھ جایہ تام۔ تتھ جایہ یوسہٕ ووٗنی وَنہٕ چھنہٕ یاژتس پٕوان چھنہٕ۔

کتہٕ سَنہٕ:- اَما کتھ جایہ۔ کر۔

کتہٕ کَنی:- ۱۔ کیٲژی۔ کمہٕ وَتہٕ۔ ۲۔ کتھہٕ پٲٹھی۔

کتہٕ کوٚت:- ۱۔ کہِ انٛدِ پٹھ بیٚیس انٛدس۔ ۲۔ وارِیاہ۔ سبٹھاہ۔ کتہٕ کور۔

کتہٕ کور:- ۱۔ کتہٕ پٹھ کوٚت تام ۲۔ وارِیاہ سبٹھاہ۔ کٲفی۔

کتہٕ نَس:- کتبن ہیٚوٗ ہ۔

کتہٕ نَن، کتہٕ نَنس:- وِچھو "کتبن"۔

کِتر:- [م۔ موٗل: کتَر]۔ پُتھ میٚزہٕ بانٛچ چھل

کِتری بَتہٕ:- وِچھو "کتر بَتہٕ"۔

کتر بَتہٕ:- ۱۔ قتلِ عام۔ ۲۔ لوٗٹھ، ہنگامہٕ۔

کتر بَتہٕ کرُن:- ۱۔ سخ زدٕکوب کرُن ۔ ۲۔ لوٗٹھ کرُن۔

کتر زٲری:- سُہ زٲری یُس سوٗرے ہورمُت آسہِ تہٕ ٹٕنٹھ موٗرنہٕ موکھ آسہِ کترِ کھنٛجن گنٛدان۔ بوڈ زٲری۔ یَس زارِ چ چیکۍ آسہِ۔

کترِ کھَش:- سوٗنٛڈِ ہتھی کٕریار ستۍ کھَش۔ بے رحم پٲٹھی تباہ کرُن۔

کترِ کھنٛجہِ ستۍ کھش کرُن:- ۱۔ بے رحم پٲٹھی مارُن۔ تتھ پٲٹھی مارُن یتھ وارِیاہس کالس ژھرٕ ژھرٕ تھ کرِ۔ ۲۔ سخ ظلم کرُن۔

کتریُو بُلہٕ بُٹھ:- تہٕ یتھ دُرٕ بُنۍ یاد آسہِ نہٕ۔ کانٛہہ سُہ چیز یتھ پایدٲری آسہِ نہٕ۔ اَپُرٕ ے لیٚہلاو۔

ٹھبابہٕ۔ تلہٕ کنہٕ نہٕ کہنٛی۔

کتہٕ گنٛڈ کرُن:- بنٛدِش کرٕنۍ۔ روٗٹ کرُن۔

کتُر:- [ن۔ موٗل: کتر]۔ بڈٕ کترِ کھنٛڈ۔ کُنہِ پھٹہِ مَتہِ کترِ وِبانٛک ژوک۔ یتھ منٛز کینٛہہ تونہٕ پیٚیہِ۔

کتُن:- [ن۔ موٗل: کت > پراکرت: کتّہ > س: کرٕتت]۔ ۱۔ یٕنٛدرس پٹھ (بیرس بیترِ) پَن کھارُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) کھوٗژی کھوٗژی خرچ کرُن، گُگھرلاگی لاگی پٲنسہٕ کڈُن۔ ۳۔ کاکُل کرٕنۍ۔ ژوٚر زٲوی جاراوُن۔ گگھر۔

کتُن کار:- کھُستھ شالک اکھ قسم یتھ پوٹ تہٕ تلہٕ چھاوتھ چھُ آسان۔

کتہٕ وَنی:- کتنٕچ موٗزوٗری۔ کتن موٗزوٗری۔

کتہٕ وَنی کرٕنۍ:- یٕنٛدرٕ موٗزوٗری کرٕنۍ۔ بیر بیترِ کتنٕچ موٗزوٗری کرٕنۍ۔

کُتۍ کُتۍ اَکوٚت گرُھن:- زوٗژٕنتھ تہٕ نہٕ کینٛہہ اَتھِ یِن۔ وارِیاہ میحنتھ کٕرتھ نہٕ کینٛہہ اَتھِ یِن۔ وارِیاہ میحنتھ کٕرتھ تہٕ نہٕ کینٛہہ پلہٕ پیوٚن۔

کُتۍ کُتۍ تہٕ آپھرُے:- وارِیاہ میحنتھ کٕرتھ تہٕ نہٕ کینٛہہ حاصِل سپدُن۔

کتبن:- [> س: کہ، شبد۔ کتہٕ + اَن]۔ کتھ جایہ۔

کتراوُن کترُن:- [ن۔ موٗل: کتراو > س: کرتنہٕ]۔ ۱۔ کُنہِ تیز چیزٕ ستۍ ٹُکرٕ کرٕنۍ۔ کپٕٹن۔ کھنٛجہٕ کرنہٕ۔ ۲۔ بِکہٕ نور کرُن۔ بے دَردی سان مارُن۔

کتُرمُت:-[ن۔مؤل: کترمُت <س: کرٔت+مُت]
ا۔یتھ ژکل یا کھنٛجہٕ کرنہٕ آسَن آمژ۔۲۔مورمُت، قتل کٔرتھ تر وومُت۔

کتراوناوُن:-ا۔کھنٛجہٕ کرناونہٕ ،ٹکر کرناوناوٕنۍ۔
۲۔مارناوُن۔قتل کرناوناوُن

کترٲوتھ تراوُن:-ا۔کھنٛجہٕ کرنہٕ۔۲۔مارُن۔

کتھِ ا:-کس ہوس۔کتہِ ہیٚوٕ ہ۔

کتھ ۲:-[م۔مؤل: کتھ <س: کتھا]-ا۔رتہٕ یہٕ زیوٚنیر۔
۲۔دٔلیل۔قصہٕ۔افسانہٕ-۳-کہاوتھ، دوٚپ۔
۴-ماملہٕ۔مَلہٕ۔واقہٕ۔۵۔ پانہٕ وٲنۍ سوچ۔
۶-سوشیٚچھ یوسہٕ مورشد ژانٛس باوِ۔۷۔ پام۔
شکایتھ۔۸۔ژوے۔أٹ۔۹۔یکٔت۔اِتفاق۔

کتھِ ژاپھ دِنۍ / دیُٛن:-کتھِ پتھ وارِ پاٹھۍ سوچُن۔
کُنہِ مسلس پیٹھ أندرۍ أندرۍ وارِ غور کرُن۔

کتھِ کتھ:-ا۔ (کتھِ) پارِیُن۔ لانٛج یُن۔
۲۔کتھ بیٚیس تام واتٕنۍ۔

کتھِ کتھِ:-ہنٛجٲرۍ پاٹھۍ۔ اِشارٕ پاٹھۍ، بےٚ خبر
پاٹھۍ۔مُنزۍ۔

کتھِ کتھی چھےٚ کتھ بنان:-تہٕ دٔپتھ گو یؤت
یؤت اَکھ أکھ زِ دن کُنہِ کتھِ ڈوٚکہ گژھِ کران تیٚؤت
تیٚؤت گژھِ سو کتھ دَران تہٕ مطلب گژھِ نیران۔

کتھِ کوٚژھ:-سَہٕ رُشیٚوٚس کتھِ رٹنہٕ باپتھ کانٛسہِ دِنہٕ ییہ۔

کتھِ کوٚژھ تہٕ وَتہِ موٚزوٕرۍ:-تہٕ دٔپتھ گو-پانٛسہٕ
ورأے بہٕ أندُن-م: أےژریہ خوش کری تہِ کر۔

کتھِ کوتھ کرِنۍ:-سیٚز کتھِ تہِ لانٛج کھارِتھ تھوٚن۔
سیٚؤد وَنٛنس تہٕ کھرانُن۔

کتھِ گژھُن:-کانٛسہِ ہُنٛد وَنٛمُت پوٗز زانُن۔
کانٛسہِ ہنٛز رایہ گژھُن۔

کتھِ لاگُن:-کتھِ کرنس منٛز آوٕرتھوُن، کتھو ستۍ
گانگلہِ کرُن۔

کتھِ واش کڈُن:-مالس وارِ دَل دیُٛن۔ زیوٚ
وٕنۍ مٕتِس وٕژھنےٚ کرِنۍ۔

کتھِ وُرُن تراوُن:-کتھِ نبر گژھنہٕ نہٕ دیُٛن۔
سِر رٕچھُن۔

کتھِ وُرُن تُلُن:-سِر کھوٗلُن۔ راز نوٚن کرُن۔
اصل کتھ برونٛہہ کُن انٛنۍ۔

کتھِ بکواس:-پزنہٕ پٲٹھۍ کتھ۔پوٗتس پتہ کتھ۔کتھ پرُش۔

کتھِ بواسیر:-ژرِ کتھِ کرنٕک عادتہِ بد۔

کتھِ بیمٲرۍ:-ژرِ کتھِ کرنٕک عادتھ۔کتھِ بکواس،
کتھِ پرُش۔

کتھِ پرُش:-وُچھِو ''کتھِ بواسیر''

کتھِ تأر:-کتھَن لأرتھ ژیر کرُن۔

کتھِ چاو:-کتھِ کرنٕک جوش۔

کتھِ روز:-وُچھِو ''کتھِ بیمٲرۍ''۔

کتھِ قاضی:-یُس گرِتھ تہٕ ژرِتھ کتھِ آسہِ کران۔

کتھ کتھ:-(پانہٕ وٲنۍ) بکواس، ہَر، گفتگو۔

کتھ کتھ کرٕنۍ :- وادوادسپدُن۔ کتھ لڑٲے کرٕنۍ۔

کتھ کتھ گژھنۍ :- ۱۔ دۄن کتھ کرنچ آواز یِنۍ مگر یہِ نہٕ بوزُن زِ کتھ کرن وٲلۍ کیا چھِ ونان۔ ۲۔ بکواس گژھن۔ مُژ کری گژھنۍ۔ اورِ یور ناراضگی سپدٕنۍ۔

کتھ کرٕنہٕ :- ہبڈُن۔ گیلُن۔ تپھ ژٕنۍ۔

کتھ گتال :- ژٕر کتھ کرَن وول، یُس کتھن تانتھ آسہِ کھاران۔

کتھ گوٚر :- ۱۔ ڈلیلہٕ وَنَن وول، یُس واریاہ ڈلیلہٕ یا داسَن۔ ۲۔ یُس کتھ کرنہٕ تگان آسَن، یُس کتھ ہُنز تلہٕ تژاو آسہِ۔ ۳۔ یُس کتھ بناوان آسہِ یا کھاڑتھ آسہِ تھوان۔

کتھ ماند :- وچھِو "کتھ بہمارٕ"

کتھ موقدَم :- کتھل۔ سُہ شخص یُس کتھ کرنہٕ ورٲے بیہہِ کینْہ تگان آسہِ نہٕ۔

کتھ وۄتھنہٕ :- پوٚت پوٚت غاٗبتھ سپدٕنۍ۔ بدنامی گژھنۍ۔ اَپوادوۄتھن۔

کتھ یِنہٕ :- ۱۔ کور یا گوٚبرس کُنہِ جایہِ نیتھر کرنس متلق ذِکر سپدٕنۍ۔ ۲۔ زوٚ یِنۍ ہیٚنۍ۔ ۳۔ وُچھ وُچھ بوٚلُن ہیوٚن۔

کتھ اَتھ لگنۍ :- ۱۔ کانْہہ کتھ بوٗزِتھ تمِیک ناجاٗیز فاٗیدٕ تُلُن۔ پتھ اَتھ یُن۔ ۲۔ تیٚتھ کانْہہ راز مولوٗم سپدُن یمہٕ سٟتۍ دوٚیمس نوقصان واتتھ ہیکہِ۔ ۳۔ کانْہہ کتھ بوٗزِتھ تتھ ووچ دوچ دِوان روزُن۔

کتھ باتھ :- ۱۔ بوزٕ شوزٕ۔ صلاح مشورٕ پرٕژھی پانہٕ وٲنۍ کتھ کرٕنۍ۔ ۲۔ (ریڈیوبیترِ پیٹھ نشر سپدوُن) تقریر۔

کتھ باتھ کرٕنۍ :- ۱۔ کُنہِ مامِلس دَل دیُن۔ ۲۔ طے کرُن۔ پانہٕ وٲنۍ سوچ کٔرِتھ مقرر کرُن۔

کتھ بازَر پیٚنۍ :- سِر نوٚن گژھن۔ لۄکن پتاہ لگُن زِ ڈلیل کیا چھےٚ۔

کتھ باوٕنۍ :- ۱۔ کتھ وَنۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سِر باوُن (پیر سُند بیترِ)۔

کتھ بِہنۍ :- ۱۔ کانْسہِ ہُند وۄمت پوٚز مانُن۔ ۲۔ کانْسہِ ہنز وٲنۍ مژ کتھ برابر یِنۍ۔

کتھ پلناوٕنۍ :- کتھ کتھ کران مُنزی ژینہٕ وَن دِنۍ۔

کتھ تژاوٕنۍ :- ۱۔ باز خاس نہٕ تُلُن۔ ۲۔ فِکر نہٕ ہیٚنۍ۔ ۳۔ کانْہہ ووُمیدنہٕ تھوٕنۍ۔

کتھ ژُلنۍ :- ۱۔ اِبتدا کرُن۔ زیر دِنۍ۔ ۲۔ ذِکر کرٕنۍ۔ ۳۔ مُنزم یارٕ زکرٕنۍ۔ زٔنگہٕ زٔنگ کرٕنۍ۔

کتھ چھاکِنہٕ :- تہِ ڈٕیتھ گو، اَتھ کیا چھُ وَنُن۔ اَتھ کیا چھُ مولہٕ وُن۔

کتھ چھےٚ :- تہِ ڈٕیتھ گو مامِلہٕ چھُ بڑا اہم۔

کتھ ڈُلہٕ تژاوٕنۍ :- مامِلہٕ لۄکٕ دُل مُلس سٟتۍ تژاوُن۔

کتھ رَٹنۍ :- ۱۔ ڈوکھ کرُن۔ کانْسہِ ہنزِ حقہٕ کینْہہ وَنُن۔ ۲۔ کتھ کرٕنۍ تژاوٕنۍ (کانْسہِ سٟتۍ)۔ ۳۔ کھاندرٕ باپتھ آنکار بیترِ دیُن۔

کتھ رَچھنۍ :- ۱۔ وادٕ پوٗرٕ کرُن۔ پنہٕ نِس وٲنۍ ہتِس

نہٕ پھیرُن ۔۲۔ کتھ نہٕ بیٚین پتھ پاوٕنۍ ۔

کتھ راوٕرٕنۍ :-۱۔ کانٛسہِ ہُند کینٛہہ پُچھنوٕ مُت یا وَتھ ہاوٕنہٕ باپتھ وٕنۍمُت ضایہ کرُن ۔۲۔ چھاس ترٛاوُن، نفاق گرِتھ دیُٚن ۔ دوٗر بر پاوُن ۔

کتھ راوٕنۍ :- پانہٕ وانٛنۍ سَمت نہٕ روزُن ۔ چھاس ہیوٚن ۔

کتھ روزٕنۍ :-۱۔ سَمت روزُن ۔ گُنی کتھ آسٕنۍ ۔ ۲۔ سر وٚپُن ۔۳۔ شکایتھ روزٕنۍ ۔ پام روزٕنۍ ۔

کتھ ژٲنٛنۍ :- مامَلس نہٕ زیچھر دیُٚن ۔

کتھ کڑٕنۍ :- بےٚ شوٗنکی پأٹھی کانٛسہِ سر ہیوٚن ۔

کتھ کرٕنۍ :-۱۔ (کینٛہہ) وَنُن ۔ زیوٚ کڑُن ۔۲۔ زیو بنٛد گژھنہٕ پتہٕ بولُن ہیوٚن ۔۳۔ واریاہہٕ کالہٕ کانٛسہِ ستی کتھ کرٕنۍ یِنٛنۍ ۔۴۔ لفظ کرُن ۔ واد کرُن ۔ ۵۔ اَٹ کرٕنۍ ۔ ژوے کرٕنۍ ۔۶۔ یکٕت کرُن ۔

کتھ کھیٚنۍ :-۱۔ کتھ گوٗش دیُٚن ، مامَلس وَرُن ترٛاوُن ۔۲۔ کتھ اَندرٕ ے تھوٕنۍ ۔ کتھ نہٕ باوٕنۍ ۔

کتھ گَنٛنۍ :- مامَلہٕ دوٗر گژھن ، یہٕ چھہٕ تمہٕ پھِرِ ونان ییلہٕ کورِ گوٗر برس گنہٕ جایہ کھاندر مقرر گژھن تیار آسہٕ ۔

کتھ گنٛڈٕنۍ :-۱۔ اپزے سپزے ڈلیٖل بناوٕنۍ ۔ اپز مپز قصہٕ گرُن ۔۲۔ کتھ مُقرر کرٕنۍ ۔ واد قرار کرُن (کھاندرس بیترِ متلق) ۔

کتھ نہٕ روزٕنۍ :-۱۔ سر نہٕ پانس نشہِ تھاوتھ ہکُن ۔ بُز ہرٕ کتھ نہٕ اَندرٕ وٚپٕنۍ ۔۲۔ اِتفاق نہٕ روزُن ۔ سَمت نہٕ روزُن ۔ نِفاق گژھن ۔

کتھ وانٛنۍ :-۱۔ کتھ سَر کرٕنۍ ۔ کُنہِ مامَلس پٲٹھۍ دَل دیُٚن ۔۲۔ کانٛسہِ ہِنٛدِس وٕنۍ مِتِس پٲٹھۍ کھوٚٹ دِنۍ ۔

کتھ وٕتھنۍ :-۱۔ ذِکر سپدٕنۍ ۔ کانٛسہِ مُتلق مُنزی کینٛژھا وَننہٕ یُن ۔۲۔ (کُنہِ مامَلس بیترِ) باز خاس وٕتھن ۔ پرٛسان وٕتھن ۔

کَتھک :- [ن ۔ مؤل: کتھک < س: کتھکہ ]۔ شُمٲلی ہندوستانٕک اَکھ مشہوٗر ناچ ۔

کَتھک کَلی :- [ن ۔ مؤل: کتھک کلی < س: کتھکہ + کلا] کیرالہِک اَکھ مشہوٗر ناچ ۔

کَتھل :- [مؤل: کتھل < س: کتھا + اَل ]۔ یُس زٔرِ کتھ کران آسہٕ ۔ یَس کتھ بکواس آسہٕ ۔

کٹاس :- [ن ۔ مؤل: کٹاس <؟ س: کٹرت + اشمن ] کُنہِ گرٛن وول کارٕگر ۔ کنہِ پھاٹوَن وول ۔

کٹاکھ :- [ن ۔ مؤل: کٹاک < س: کٹاکشہَ ]۔۱۔ دولہِ وُچھن ۔ روٗگ وُچھن ۔۲۔ (ورگہ پٲٹھۍ) کتھ کڑٕنۍ ۔

کٹر :- [م ۔ مؤل: کٹر < س: کرت ]۔ بُڈ پہن والہِ چھل ۔ م: بَستہٕ کٹر ۔

کٹژ :- [م ۔ مؤل: کٹژ < وُچھو "کٹھ"] کٹہٕ کھیوٗل ۔ جب

کٹہٕ مٹہٕ :- سہٕ یُس جان جُس آسہٕ ۔ اَلی اَلی کھوٚتمُت ۔ زُودارتہٕ وُسوار ۔

کٹُن :- [ن ۔ مؤل: کٹ < س: کرتنہٕ ]۔ ژٹُن ، کم کرُن ۔

کٹیٖر :- [ن ۔ مؤل: کٹیر < کوٗٹ لفظُک ژھوٹر ]۔

لوٗٹ کوٗٹ۔

کٹھ ا:-[ن۔ مؤل: کٹ <س: کٹّہ]۔ا۔(گبہٕ مُقابلہٕ) نَرتیٖؤر۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) سُہ یُس بَلایہٕ پتھ وِزبن۔

کٹھہٕ بَستہٕ:-تہٕر س واَجہٕ شکھل۔تہٕر مُسلہٕ۔

کٹھہٕ پزاژ:-دُشاکھل وٕتھر یا وَرُق۔

کٹھہٕ پوٗت:-ا۔بوٗڈ پہن چھر۔سُہ چھر یُس وُنہٕ آمہٕ وٚوندے آسہٕ۔۲۔اَکھ شُری رِگنڈُن یتھ منز کٹھہٕ ہندی پاٹھی شُرِس نکھس پِھہِ ٹلان۔

کٹھہٕ مارے:-سخ دُم دام۔بڈ بوٗڈ سال۔

کٹھہٕ مُلِیٖن:-گوٗٹ پہن چھوٗت۔

کٹھہٕ مُلی نیار:-گوٗٹ پہن چھوٗت۔ناپد توسی آسنچ حالتھ۔

کٹھہٕ میانٛپہ رائے:-(ورگہٕ) بکواس۔بےٚ مانے کتھ۔تِمہٕ کتھ یمن نہٕ کینٛہہ حاصِل آسہٕ۔

کٹھ لَگُن:-گبہٕ ہُندٕ والی وِنی روزُن۔گبہٕ بزیش آسنی۔

کٹھ۲:-[ن۔مؤل۔کٹ <وُچھو۔کٹھ ا]۔یہٕ چھِ ہزلہٕ پاٹھی ناکار کِس زامتِس ونان۔تِس ونان یُس شکس وَسہٕ آسہٕ۔

کٹھ۳:-[م۔مؤل: کٹھ <س: کٹہ]۔کرٕٹھ۔وبگراوُن یُس نارَس پتھ تھوٚتھ تیٚلس بیتر ووتھان چھُ۔

کٹھ ٹلِنی:-ا۔وبگراوُن ٹُلُن۔کانٛہہ چیز تَلِی نَس پتھ تیٚلس منز زالُن۔کرٕٹھ پھُہلاوِنی۔۲۔پتھ گُن نہٕ کینٛہہ تھوَن۔سوٗرے ہیتھ ژلُن یا موکلاوِتھ ژھنُن۔

کٹھ کَڈِنی:-ا۔کرٕٹھ ٹِچھر یا آمن ژلراوِنی۔

۲۔سوٗرے ختم کرِتھ تھوَن۔

کٹھ کڈِتھ:-یڈ بٔرتھ۔گش کڈِتھ۔

کٹھ ووٚٹھنی:-ا۔کھہِ تیٚلس بیتر نارَس پیٹھ تھوِتھ وبگراوُن ووتھُن۔کرٕٹھ پھُہلنی۔۲۔پتھ گُن نہٕ کینٛہہ روزُن۔

کٹھور:-[مؤل: کٹھور <س: کٹھور]۔سخ دوٗر، مُشکِل۔۲۔واٛنجہِ دوٗر۔

کٹھیٖن:-[مؤل: کٹھِن <س: کٹھنہٕ]۔مُشکِل، سخ، دُشوار۔کڈُر۔

کٹھ کار:-[ن۔مؤل: کٹھ کار <س: کشٹہ+کار]شِشُر۔سخ ٹر۔سوٚ ٹر یُس ہِ ٹرتھ گژھِ۔

کٹھ کار کرُن:-سخ شِشُر کرُن۔وَنٛد کڈُر پیوٚن۔

کٹھ کوٚش:-[ن۔مؤل: کٹھ گش <س: کرکشہ]۔سو ژھٹھ یا ٹر ییمہٕ ستی ٹرل چیزن لختہٕ گژھِ۔ٹر یتھ منز ٹُل کٹر لگہِ۔

کٹھ گش دیو:-ا۔سخ کٹھ کوٚش۔پزنہٕ پیٚٹھی ٹر۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) سُہ شخص یُس سخ ٹر لگان آسہِ تہٕ وُشنیر منز آسہِ نہٕ نیران۔یُس ٹر ہُندٕ وٕہمہٕ آسہٕ۔

کٹھ کوٚش کرُن:-ٹُل کٹر لگُن۔ہوٚندر لگُن۔

کٹھ کوٚش لگُن:-وُچھو "کٹھ کوٚش کرُن"۔

کثافتھ:-[م۔مؤل: کثافت <ع: کثافۃ]۔ا۔گند، گندگی۔۲۔مَل، رَل، چھتھ۔

کثرَت:-[< کثرۃ]۔ژربر، ہُر آسنچ حالتھ۔

کج :-[مؤل: کج <ف: کج]۔ ہجر۔ وَر۔
کج بحثی :- تیُتھ بحث یتھ منز کانہہ ڈلیل سیوٚد آسہِ نہٕ۔ ٹلی جانگُر۔ تیُتھ بحث یتھ کینہہ مانے آسہِ نہٕ۔ وُلٹہٕ بحث۔
کج رفتار :-[مؤل: کج رفتار <ف: کج رفتار]۔ ا۔ یُس ہوٚل ہوٚل پکان آسہِ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) دوکھِ باز، یُس کھہنس پیٹھ آسہِ۔ ہوٚل۔ م۔
ژے کیا اے چرخِ کج رفتار
دِلس منز خار چھے میون (حقانیؔ)
کجگلاہ :-[ن۔مؤل: کجگلا =<ف: کجگلاہ] یُس ٹوٗپی ہج تھاوِ، تہٕ ڈیتھ گو بادشاہ۔ شہنشاہ۔
کجر:-[ن۔مؤل: کجر <س: کلیہ]۔ کوٚل آنچ حالتھ۔ سو حالتھ یتھ منز کتھ کرِتھ ہیکی زِنہٕ۔ کتھ کھوٗکھر گرشنچ حالتھ۔
کجر کرُن :- زورِ کوٚل لاگُن۔ زورِ کتھ کھوکھر کرِنی۔
کجر گرشھن :- کتھ کھوٗکھر گرشنی۔ کتھ نہٕ پھورِنی۔ زیوٚ گنڈ ہیوٚ گرشھن۔
کجر۲:-[ن۔مؤل: کجر <ف: کج]۔ ہجر۔
کجابہٕ :-[ن۔مؤل: کجاب <ف: کجاوہ]۔ ڈورِ ورأے کوکرپوٗتی رَچھنہٕ باپتھ اکہِ قسمٕچ ڈاکر۔ کرنجابہٕ۔
کجلی :-[م۔مؤل: کجلی]۔ اَکھ وُسنی جنگلی بوٗٹی یوسہٕ تھزرن چھِ۔ بووان تہٕ یتھ ژھبن ژھبن کرِتھ وُتھر چھِ آسان۔

کچر :-[ن۔مؤل: کچر <دٕ چھو۔ کوٚچ]۔ ا۔ پوٗرتہٕ یا تیار نہٕ آنچ حالتھ۔ ۲۔ پوٚیمُت نہٕ آسُن۔ ۳۔ ذہن، آمن۔
کچا کھ :-[ن۔مؤل: کچا کھ]۔ اَکھ وُسنی جنگلی گُل یتھ قد سوٚم چھُ آسان، اَتھ چھِ نیلی پوش پھولان تہٕ وُتھر چھس ڈُلامی آسان۔
کچُل :-[ن۔مؤل: کچل <س: کچہٕ + اُل/کوٗرچلہٕ]۔ ا۔ ژھاوُل۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) سُہ انسان یُس دأرزٕ پیٹھ آسہِ مگر عقل آسہس کمے۔
کچہِ بار :-[ن۔مؤل: کچہِ بار <س: کچہٕ + بھار]۔ (زنانہِ ہُند) شیرِ تھ پرِتھ گوٚن مَس۔
کچہِ پوٗت :-[ن۔مؤل: کچہِ پوٗت <س: کچہٕ + پوتہٕ]۔ ژھاوجہِ ہُند نرژھو۔ (ژھاولی) مونگر۔
کچہِ پوٗژ :-[م۔مؤل: کچہِ پوٗژ <دٕ چھو۔ کچہِ پوٗت] ژھاوجہِ ہُند مادِ ژھو۔ (ژھاولی) مونگر۔
کچہِ مونگر :- وچھِو ''کچہِ پوٗت'' م: کچہِ مونگر۔
کچُل باہ من کرُن :- تہٕ ڈیتھ گوپنی کتھ (کُنہِ نتہٕ کُنہِ) طریقہِ زورِ مانی راونی۔
کچلُن :-[ن۔مؤل: کچل <س: کچہٕ + اُل/کوٗرچلہٕ] کینژن گلی، لنگن پھٹن وول سُہ سبز جو ٹھر یُس وہری وُری یُس سبز چھُ روزان۔
کچھ :-[ن۔مؤل: کچھ <س: ککشہٕ]۔ ا۔ وُسنی گاسہٕ۔ سُہ گاسہٕ یُس پانی پانے زمینس کھسان چھُ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) تہٕ یہ نہٕ کینہہ لو۔ ترأوتھ

ژھنُن لایق۔

کچھ دانہ:- اَکھ وٕسنی کچھ۔یتھ ہمہٕ پوان چھےٚ۔

کچھِ گنگُر:-[ن۔مؤل: کچھ کنگر <س: ککشہ +ف: کنگرہ]۔سُہ اَکُل کوٹ یُس گاسہٕ لاوِس یا بنہٕ ستی وو دِنی یِیہٕ تھاونہٕ۔تہٕ ییمہٕ کِنۍ اَگو پیٹھی کھسِتھ گاسہٕ والنہٕ آسہٕ یوان۔

کچھِ موٚنڈی:- کچھِ زاُژن ہندی مؤل ییم ژٕمینس منز اُتی چھِ روزان۔

کچھِ عنبٕر:-گوڈنچ عنبٕر۔داں ژٕمینس گوڈنچہٕ پھرِ اَتھوٕ ستی کچھ کڈُن۔ژرو نٹ۔

کچھ وُلنۍ:-فصلہٕ اَندرٕ کچھ مؤلہٕ کڈُن۔ژٕمینس منز فصل اُتی تھوٚن تہٕ کچھ کڈِتھ ٹُین۔

کچھ گرٕھن:-ا۔سبزی موجِن اَندرٕ اَر گرٕھنی۔ ۲۔تھدُن تہٕ موٹُن مگر فصل نہٕ دیُن۔

کچھِ:-[ن۔مؤل: کچھ <س: ککشہ]۔کاُٹھی۔لنگوٹہٕ۔

کدکائے:-سمؤل: کدکاے <س: کتھا +پراکرت: کایَر] سُہ یُس کتھے یاژ کرِتہٕ اَتھو کرِنہٕ کینہہ۔کُشد گر۔

کدکائی:-کاکرگی۔بکواس۔بلی کتھ کرنک عادتھ۔

کڈُن:- [ن۔مؤل کڈ <پراکرت: کڈھ]۔ ا۔(کُنہہِ منز) نیبر کُن اَنُن۔علاحدٕ کرُن۔اَلگ کرُن۔مِ: نوکری منز کڈُن۔صوٗندوُقہٕ منز کڈُن ۲۔دزِسہٕ ستی کھارِتھ اَنُن۔لمِتھ ٹُین۔ مِ: چل کڈُن۔تانہٕ تانہٕ کڈُن۔۳۔چیرُن۔

۴۔(آسہِ منز) ترٛاوُن۔مِ: ارمان کڈُن۔ ۶۔خرچُن،وَرتاوُن۔مِ:پاُنسہٕ ٹوٗنک کڈُن۔ ۷۔گُذارُن۔مِ: دوہ کڈُن۔ ۸۔لایُن۔ چلاوُن۔ داُرِتھ دیُن۔مِ: کش کڈُن۔ ۹۔ٹُرٛاوُن۔مِ:غلطی کڈٕنی۔

کڈِتھ ژھنُن:-ا۔مؤلہٕ پژاٹُن۔نیبر کڈُن۔علاحدٕ کرُن۔۲۔(گرِ منز) بیوٗن کڈُن۔ ۳۔(مُلکہٕ بیترِ منز) جلاوطن کرُن۔

کڈِتھ ٹُین:-ا۔بیوٗ منز الگ کرِتھ ٹُین۔آلو دِتھ ہیٚس جایہٕ پکناوُن۔تھچھ دِتھ ٹُین۔۲۔(ورگہٕ پاُٹھی) وَرغلاوُن۔

کڈِتھ ہاوُن:-بروٗنہہ کنہٕ تھاوُن۔ہاوِتھ دیُن۔ ٹُرٛاوِتھ دیُن۔

کرا:-[س: کرہہِ]۔ا۔کمہِ وقتہٕ،کمہِ ساتہٕ ۔۲۔(نکارِ پرٕھی) زانہہ نہٕ،کُنہہ ساتہٕ تہٕ نہٕ۔

کرباُ گُن:-کمہِ وِزِ، کمہِ وقتہٕ۔

کرباُ گی:-کمہِ ساتہٕ۔کمہِ وقتہٕ۔سو کوسہٕ وِزاُس۔

کرتام:-سبٹھاہ کال بروٗنہہ۔سبٹھاہ سبٹھاہ کال گوٚکےٚ حال۔

کرتامتھ:-وُچھو "کرتام"۔

کرتہٕ گرٕ گرٕ:-پژاُری پژاُری تنگ یتھ یہ ظاہر کرُن زِ اُخر کر۔

کرتہٕ کیٚتھ:-یَب ہہنہٕ وِزوَنان۔زٕ ہنہٕ تہٕ کہنہٕ تہٕ نہٕ۔

کرسنا:- اما کیٚلہٕ، کرباٗ گر۔

کرکنہٕ:- ا۔ کمہِ سَناوقتہٕ، کرباٗ گر ہیوٚہ۔ ۲۔ سبٹھاہ برۄنہہ۔

گر ہیوٚہ:- وُچھوٗ ''کرکنہٕ''۔

گرِ۲:- [ن۔ مؤل: کر < س: کٹہ]۔ بٔچوٗ ژوک، تالوٗس یا پَشس تل لبہِ گنڈ نہٕ باپتھ ترٛ اوٚمژ کرِ۔

کرِ کوٗٹ:- سُہ کوٗٹ یا کریوسہٕ کرترٛ اونس لاگہٕ ییہِ۔

کرِ گنڈ:- سُہ کوٗٹ یُس مکانس ژوولیٲرِ۔

اَرِ وَرلبَن ہنٛزٕ بستگی باپتھ ترٛ اونہٕ ییہِ۔

کرگنڈُن:- مکانس گنڈ ہینہٕ باپتھ ژوارکرِ (اَکھ اَکس ستی) واٹنہٕ۔

کرِ۳:- [ن۔ مؤل: کر < س: کر]۔ ا۔ اَتھ۔ ۲۔ ہٕسی ہنٛدِ جِسمک سُہ تان ییمہٕ ستی سُہ گاسہٕ بیترٕ ٹلان چھُ۔

کرَم:- [ن۔ مؤل: کرم < ع: کرم]۔ مہربانی۔ خٲر، اَتھِ روٗٹ، پرٛژر۔ احسان۔

کرَم فرما:- مہربان۔ اَتھِ روٗٹ کرن وول۔

کرنسی:- [م۔ مؤل: کرنسی < اَنگ: کرنسی Currency]

سِکہٕ۔ ضَرب۔

کرنسی نوٹھ:- کاغذی۔ سِکہٕ۔

کرامَتھ:- [م۔ مؤل: کرامت < ع: کرامت]۔ تہٕ سپدُن یا کرُن یہ ناممکن بوزنہٕ ییہِ۔ تہٕ کینٛہہ سپدُن یا کرُن ییمیُک وَجہِ فِکرِ ترَنہٕ تہٕ یتھ پٔتھ پرٛژھ کرٕنی مُشکِل آسہِ۔ عوٗجوٗبہٕ۔ ژَمتکار۔

کرامَتھ سپدٕنی:- عوٗجوٗبہٕ سپدُن۔ تہٕ سپدُن یہ عام پٲٹھۍ سپدُن ممکن آسہِ ہے نہٕ۔

کرامَتھ کرٕنی:- ا۔ تیٚتھ کینٛہہ کرُن یہ کانٛہہ عام پٲٹھۍ کرِتھ ہیکہِ۔ ۲۔ پیشین گوئی کرٕنی۔

کرامَتھ ہاوٕنی:- عوٗجوٗبہٕ ہاوُن، تہٕ کرِتھ دیُن یہ سپدُن ممکن باسہِ نہٕ۔ یہٕ وُچھتھ عقل حٲران گژھِ۔

کراماٗژ کرنہٕ:- وُچھوٗ ''کرامَتھ کرٕنی''۔

کراہَتھ:- [م۔ مؤل: کراہت < ع: کراہت]۔ گژلنہٕ (گنٛد یا نجس آسنہٕ موکھ)۔ نفرتھ، پزٕنین نہٕ۔

کراہَتھ آسٕنی:- تیٚتھ آسُن ییمہٕ ستی مَن پھیرِ، گرانہٕ گژھن یا نفرتھ سپدِ۔

کراہَتھ گژھٕنی:- نفرتھ گژھٕنی۔ مَن پھیرُن۔

کرأنچی:- [م۔ مؤل: کرأنچی < ہ: کرانچی]۔ اَکہِ خاص قسمٕچ داندٕ گاڑی یتھ کیٚتھ بور بیترٕ سارنہٕ اوس یوان۔

کرِ:- [ن۔ مؤل: کر < س: کلایہ]۔ مٔٹر، ڈُلاٗمی دلنہٕ گرِتھ اکھ دالہِ قسم۔

کرِ پھوٚل:- ا۔ اَکھ مٔٹر دلنہٕ۔ ۲۔ مٔٹر موٹھاہ سُہ بُزمُت ہوکھ پھَل یُس شُرِس رَژٕناونہٕ باپتھ دِنہٕ ییہِ۔

کرِ دال:- مٔٹر۔

کرِ دالہِ ہُنٛد وَر:- ا۔ تہٕ ڈٔپتھ گوسُہ نوٗقص یُس نہٕ کُنہِ رٔنگہٕ ٹھیکھ سپدِتھ ہیکہِ۔ تیٚتھ کینٛہہ گژھن یتھ پیٹہٕ کینٛہہ اَنٛدِ تھ ہیکہِ نہٕ۔ ۲۔ ہنگ تہٕ منٛگک مَلالہٕ۔

کرِ ڈٔج:- ا۔ سُہ زمینہٕ ژٔکل یتھ کرِ وَونہٕ آسہِ یوان۔ ۲۔ کرِ فصلہٕ ستی برِتھ زمینہٕ پٔتھ۔

کرٕژاپُن:- سختی تٔلنٕی۔

کرٕ مأنٛتھر:- سُہ بُزتھ ہوکھ پھَل یُس شُر پرٕنہٕ
تہٕ اوَن وِزِژاٹہٕ شُربن بأگران آسی۔

کرٕمُتھ:- کانٛہہ بُزتھ ہوکھ پھَل یُس شُربن
رٔنٛزناونہٕ خأطرٕ دِنہٕ ییہِ۔

کرموٗر:- کوٗٹھہٕ لوٚسنی۔ سخ ٹھکُن۔ پکنہٕ ستیٚ زٕ ھیٚنٛتھ پیوٚن۔

کرٕہسم:- کرٕ ڈٕکھس دٕزاہرٕ گوژھتھ منٛز کرٕ پھٔلی پیٹھان چھِ۔

کرٕپأنٛژُک:- [ن۔مۄل: کرٕپأنٛژُک<س: کرپنچکہ]
(جوتشہٕ مۄجُب) پانٛژَن زۄنہٕ گرن ہُند، یَم چھِ
کانٛہہ رٕژ کأم کرنہٕ باپتھ جان مانٕنہٕ یِوان۔

کرٕژ:- [ن۔مۄل: کرٕژ<س: کارپاسہٕ]۔ وَتھرنہٕ باپتھ
کپُر دوُر۔

کرٕفَر:- [مۄل: کرٕفَر<ف: کروفر]۔ شان۔ دَبدَبہٕ۔
آسُن بُسُن۔ دَگدَگہٕ۔

کرٕم:- [ن۔مۄل: کرم<س: کرمَہ]۔ ۱۔ اعمال،
کرتوُتھ۔ یتھ کِنہٕ پھَل، سزا یا جزا مِلتھ ہیکہِ۔
۲۔ لون، نٔصیبہٕ۔ ۳۔ موردٕ ہندی سنسکاریار ہم۔

کرٕم گٔری ہتیٚ آسٕنی:- نٔصیبہٕ وول آسُن، تقدیر
جان آسُن، نٔصیبہٕ رُت آسُن۔

کرٕمَس آسُن:- نٔصیبس آسُن۔ قِسمتس آسُن۔

کرٕمَس نہٕ پُرُن:- قِسمتھ خراب آسُن۔
۲۔ قِسمتس نہٕ برابری ہیٚکٕ لأنی سبز رنہٕ گژھُن۔

کرمہٕ بجر:- ۱۔ جان نٔصیبہٕ۔ تھوٚدٕ قِسمتھ۔ خوش بختی۔
۲۔ ڈٔلکہٕ بجر۔

کرمہٕ بوٚڈ:- قِسمتہٕ وول، یُس آسُن بُسُن آسہِ ہیٚار وول۔

کرمہٕ پھَل:- جان کامہن ہُند نتیجہِ، تمیُک نتیجہ یِیہِ
انسانَن کوٗرمُت آسہِ۔ پرٛانیٚن کامہن ہُند حاصِل۔

کرمہٕ رِکھ:- تقدیرٕ چ رِکھ، تقدیر، قِسمتھ، نٔصیبہٕ۔

کرمہٕ سبزَر:- جان نصیبہٕ۔ ڈٔلکہٕ سبزر۔

کرمہٕ کھنٛڈٕ ہتھ:- نٔصیبہٕ پھٔٹمُت آسُن۔ بختس نہٕ
پُرن، بدقِسمتی۔

کرمہٕ کھر:- بدنٔصیبی: بدقِسمتی، شامتِ اعمال۔

کرمہٕ لیکھا:- ۱۔ یتِہ یِیہ ڈٔلکس لیکھتھ آسہِ۔
۲۔ اَکِس دیوی ہُند ناو۔ ۳۔ قِسمتھ، تقدیر۔

کرمہٕ لون:- قِسمتھ، تقدیر، نٔصیبہٕ۔

کرمہٕ وان:- بختہٕ بوٚڈ، یُس جان نٔصیبہٕ آسہِ، یُس
تقدیرُک سبزر آسہِ۔

کرمہٕ وول:- خوش قِسمتھ، یُس جان نٔصیبہٕ آسہِ۔

کرمہٕ ہان:- بدقِسمتی، قِسمتَس وَتُن۔ بختس نہٕ
سبزر آسُن۔

کرمہٕ ہیٖن:- بدقِسمتھ۔

کرٕناو:- [م۔مۄل: کرٕناو<س: کر+ناو]۔ تارٕناو۔

کرٕناوِتار:- کولہِ ناوِکیتھ تار۔

کرٕناوُی:- کرٕناو چلاوَن وول ہأنٛز۔ سُہ ہأنٛز یُس کرٕناوِ
منٛز تار آسہِ دِوان۔

کرٕناوُی کوگُر:- کرٕیہنہٕ رَنٛگہٕ اَکھ کوکرٕ ذاتھ۔ اَمہِ ذأنٛز

ہنٛدی کو کرچھِ عام کو کرٕ وکھوتہٕ بڈٕ گژھان۔

کرٕؤنؠ:-سوٚزدٕرِ۔ سہٕ ماوضہٕ یُس کینٛہہ کرنہٕ باپتھ دِنہٕ ییہِ۔ میحنتانہٕ۔

کرٕوٗن:-ا۔ بناوَن وول۔ کرن وول۔ ۲۔ کارساز۔ ۳۔ دَے۔ ۴۔ کرن گژاکھ۔

کرٕ ووٗنؠ:-[ن۔مؤل: کرٕوٲنؠ <س: کرِشٹہٕ+ پاپیہٕ] سوکھِ دُشن آب، سہٕ پوٗنؠ یتھ صِرف ٹوپھ مورے ہژ آسہٕ۔

کرُن:-[مؤل: کر<س: کرنہٕ]۔ ا۔ کانٛہہ کاٗم اَند واتناوٕنؠ، سپداوُن، عملہٕ اَندر اَنُن۔ م: کار کرُن۔ ۲۔ سپدُن، بَنُن۔ م: دَیہٕ سُنٛد کرُن۔

کرن گژاکھ:-سو اَسامؠ یُس نِش کینٛہہ کرنٕچ وومید تھٔوی زِ۔ یُس کاٗم کرنس عادتھ آسہٕ، یُس کاٗم اَند واتناوِتھ ہیکہِ۔ کرن وول، وُدیُوٗگی۔

کرن وول:-وُچھو "کرن گژاکھ"

کرن ہار:-کرُن لایق۔ یہٕ کرُن پَزِ۔

کرنہٕ کرُن مگر وٗدؠ وٗدکھ:-تہٕ وُچھتھ گوٚ چور تہٕ گژھنہٕ کٔنؠ کینٛہہ کرُن، دِلہٕ نہٕ کرن۔ خوٚشی سان نہٕ کرُن۔

گٔرِتھ دیٖن:-اَنٛوراوِتھ دیٖن۔ اَند یوٗرِتھ دیٖن۔

کرور:-[مؤل: کرور<س: کوٹہٕ]۔ ہتھ لچھ۔

کرورِ بوٗد:-وارِیاہ۔ تیوٗتاہ۔ یتھ گژند ہیکہِ نہٕ یتھ۔

کرونا:-[م۔مؤل: کرونا<س: کرُنا]۔ زٕرِ زٕرِ۔ عار۔ دیا۔

کریل:-[م۔مؤل: کریل<س: کار ویلّہٕ] تور یلہٕ چالہٕ پھپھر گٔرِتھ اَکھ ٹیٹھ سبزی۔

کریوٕ:-[ن۔مؤل: کریو<ف: کریوہ]۔ وٕڑر۔ عام زمینہٕ کھوتہٕ تھزِر زمین۔

کربلا:-[ن۔مؤل: کربلا<ع: کربلہ]۔ عراقس منٛز تمہٕ جایہِ ہُنٛد ناو یتہِ حضرت امام حسینؓ صأبن شہادتھ لٔب۔

کربلا کرُن:-ا۔ سخ عذاب کرُن۔ سخ تکلیف واتناوُن۔ تہٕ کرن ییٚمہٕ ستۍ مرنس واتی زِ۔ ۲۔ تریشہٕ تریشہٕ کرٕناوُن۔

کربلا گژھُن:-ا۔ سخ تکلیف واتُن۔ سخ عذاب سپدُن۔ تہٕ سپدُن ییٚمہٕ ستۍ مرنس واتی زِ۔ ۲۔ تریشہٕ تریشہٕ کرُن۔

کربہٕ:-[ن۔مؤل: کرب]۔ مکایہ گاسہٕ لوو۔

کرتَل:-[م۔مؤل: کرتل<س: کرترِ]۔ تلوار۔ شمشیر۔

کرتلہِ دار:-ا۔ کرتلہِ ہُنٛد سہٕ پاس یتھ تیزٕ گٔرِتھ آسہِ۔ کرتلہِ ہُنٛد کھہرن دِتھ تیغ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کرہٕ ٹھ مٔنزی لہٕ۔ سخ کڈٕ روتھ۔

کرتلہٕ دارِ پکُن:-سوٚنٛچ سوٚنٛچ قدم تُلُن۔ سبٹھاہ احتیاط کرُن۔

کرتَل دِنؠ:-ا۔ تلوارِ ستۍ مارُن۔ گردن دِنؠ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) پانٛس بروٗنٛہہ گن نہٕ ینہٕ دیٖن۔ کلہٕ نہٕ کڈنہٕ دیٖن۔ کلہٕ دَگن۔

کرتا، کرتا درتا:-[ن۔مؤل: کرتا <س: کرتا]۔

ا۔کرن وول۔۲۔پاۓ کرن وول۔۳۔مأکلھ۔ آغہٕ۔۴۔شرٕ وِگرُک زیُٹھ۔

کرتارتھ:۔[مؤل: کرتارتھ < س: کرتارتھ]۔سُہ یُس منگ مُراد پرٛاوِ۔کامیاب۔

کرتوٗت:۔[ن۔مؤل: کرتوٗت < س: کرتوٗیتا۔م:ہ: کرتوٗت]۔ ا۔اَطوار ۔ طور طٔریقہٕ۔عمل ۔ ۲۔(ہزلہٕ) کوفیل۔کیرن۔

کرکٹ:۔[م۔مؤل: کرکٹ < س: کرکٹہ] اَکہ رأش ہُنٛد ناو۔

کرمایَتھ:۔[ن۔مؤل: کرمایت < س: کرمایَتہ] اُصیبہٕ

کرِمشٹھ:۔[مؤل: کرِمشٹ < س: کرِمشٹھ] رٕتی کرم کرن وول۔نیک عمل کرن وول۔

کرمؤر:۔[ن۔مؤل: کرمؤر < س: کربار]۔اَکھ وٚسنۍ گاسہٕ یُس مَژ، کنۍ ٹیوٗٹھ چھُ آسان۔

کرنل:۔[ن۔مؤل: کرنل < اَنگ: کرنل Colonel] میجرس ہیوٗر اَکھ فوٗجی اَفسَر۔

کرناوُن:۔[ن۔مؤل: کرناو < س: کرِ]۔ا۔کأم کرنس پٮ۪ٹھ آمادٕ یا مجبوٗر کرُن ۔۲۔کأنٛسہِ اَتھہِ یا کأنٛسہِ ہٕنٛدِ ذٔرِیہ کامہِ اَنٛدبوٗر دِناوُن۔

کرناوتار:۔دٔے یُس لوٗکن ہٕنٛدِ زٕر زٕر گوٗہان چھُ۔

کرنکھ:۔[ن۔مؤل: کرنک < س: کرنِکا]۔نَستہٕ ہُنٛد ڈٕبکس اَنٛدرِ کی گوڑ۔

کرٕنی:۔[م۔مؤل: کرٕنی < س: کہٕنیَہ]۔یہ بَنہٕ ڈُن آسہِ۔

یہ سپدُن آسہِ ،یہ کرُن ضوٗروٗری آسہِ ،بٔنی۔

کرپا:۔[م۔مؤل: کرٕپا < کرٕپا]۔مہربأنی۔دَیا۔رحم۔

کرٕپُس، کرٕوپُس:۔[ن۔مؤل: کرٕبس < آواز پٮ۪ٹھ] (دَبادٕنہٕ سٟتۍ گوٚمُت) بوٗس،چوٗر، بڑٕوٚکس

کرٕپُس کرُن:۔ بڑٕوٚکس کرُن۔ چوٗر کرُن۔ بوٗس کرُن۔

کرٕپُس گرٕژھن:۔ا۔کینٛہہ گوٚب پٮ۪ٹھ پیٚنہٕ سٟتۍ ژرٕٹ گرٕژھنۍ، بڑٕوٚکس گرٕژھن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) تھکنہٕ سٟتۍ ماز پھُٹُن۔ژھینٛتھ پیوٚن۔

کرٕپھ:۔[ن۔مؤل: کرٕپ < آواز پٮ۪ٹھ]۔ا۔ٹکھ۔ دَندوٕ سٟتۍ وولُمت بڑکھ۔۲۔تیز ہَن۔یوسہٕ اَکہِ وِزِ کھٮ۪نہٕ تلہٕ ووتھِ۔م: لوٗنہِ کرٕپھ۔

کرٕپھ کرٕپھ:۔ژاپھ دِنٛچ آواز۔

کرٕتھ:۔[ن۔مؤل: کرٕٹ < س: گلتَتھ]۔اَکھ بوٗٹۍ یتھ بُڈۍ وُتھر چھِ آسان۔یم وُتھر چھ پٮ۪تھ آبس منٛز رَلأوِتھ جولہٕ لدٕ گرِس بیترِ دوان۔

کرٕژھ:۔[م۔مؤل: کرٕژھ < س: کٹھہ]۔ا۔گرٕژھ۔ ٹنبگلنٛچ آواز۔۲۔کٹھ۔سُہ دٕہہ یا مُشکھ یُس تیلس بیترِ زیادٕ کارنہٕ سٟتۍ ووتھان چھُ۔۳۔وگراوُن۔

کرٕژھ کڈُن:۔ا۔یکدم کھبتھ نٟین۔ کُنۍ گروکھ والُن۔۲۔سورُے کینٛہہ اَتھس منٛز یٟن۔

کرٕژھ کڈتھ:۔ یکدم۔وٕچھان وٕچھان اَکی گرٕوکہٕ۔

کرٕژھا:۔[م۔مؤل: کرٕژھ < س: کرِتِکا]۔بٔلہٕ۔ثُریا۔

اکہِ زوٗنہِ گرُک ناد، اَتھ اَندر چھِ شےٚ تارکھ۔
کرٛژھکورِ:- بُلہِ آسمانس پیٹھ شَن تارکن ہنٛز ترومبر۔
کرٛژھ ۲:- [م۔مؤل: کرٛژھ]۔ ا۔ اَکھ وۄنۍ سبزی یوسہٕ سوٗنتہٕ کالس منٛز بَٹھبن بیترِ کھسان چھےٚ۔
۲۔ اَکھ بوٗٹۍ یوسہٕ صابنہٕ بَدل چھٕلنس لگان چھےٚ۔ ۳۔ زَل پکناونہٕ باپتھ اَکھ دَوا۔
کرٛژھ کمرِ:- ا۔ کرٛبژھِ ہُنٛد زأویُل ئَل۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) تۄن۔ زأویُل۔ اوک کانبل۔
کرٛژھکورِ:- کرٛژھ کڑن واجنہِ کورِ۔
کرٛیژھِ کٔٹھ:- (ورگہٕ) رٕے گومٕت شُر۔ بَہہٕ ماجہِ روٗس شُر۔
کرٛیژھِ کُنٛڈی:- ہہرٛنہِ ہٕی کُنٛڈی یمٕ کرٛیژھِ ڈکھس نیران چھےٚ۔
کرٛس:- [م۔مؤل: کرٛس] اَکھ وۄنۍ گاسہٕ یتھ ڈتھرس نل زیوٗٹھ چھُ آسان تہٕ ڈتھر چھُس بونہِ پَنہٕ ڈتھرس ہیوٗہ، یہِ گاسہٕ چھُ جنٛگلس منٛز آسان۔
کرٛکل:- [مؤل: کرٛکل ح دۄچھو ''کرٛکھ'']۔ یُس کرٛکہٕ آسہِ دِوان۔ یُس ہوٗٹ بۄڈ آسہٕ۔
کرٛکھ:- [م۔مؤل: کرٛک ح پراکرت: کڈگہ]۔ ا۔ شور، چری گیٚش، بکواس۔ ۲۔ آلو، ناد۔ م: بٕتلاہمس دِکرٛکھ۔
کرٛکہٕ دِنہِ:- ا۔ سخ شور تُلُن۔ ۲۔ (داد بیترِ کِنی) چکہِ دِنہِ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) بُڈ بُڈ وَدُن۔
کرٛکہٕ دِیاوُن:- وَدِناوُن۔ تنٛگ اَنُن۔
کرٛکہٕ کرٛکھ کرٛنی:- چکہِ چکھ کرٛنی۔ سخ وأے وأے کرُن۔
کرٛکہٕ ناد:- سخ شور۔
کرٛکہٕ نادتُلُن:- ا۔ سخ شور لاگُن۔ ۲۔ سخ وۄلُن۔
کرٛکہٕ نادووتھُن:- ا۔ سخ شور ووتھُن۔ گُنہِ باپتھ سأری ووٗلنۍ۔
کرٛکھ تُلنۍ:- شور تُلُن، واویلا کرُن۔ گُنہِ کتھِ پیٹھ پَرخاش کرُن۔
کرٛکھ چکھ:- شور، چری گیٚش بیترِ۔ ناد۔
کرٛکھ دِنۍ:- ا۔ تھدِ آلو دیُن۔ ۲۔ باکھ ترٛاوُنۍ۔
کرٛکھ کرٛنی:- ا۔ شور کرُن۔ آلو دیُن۔ تیٚتھ شور لاگُن یتھ اَندٕ پکھٕ تہٕ بوزَن۔ ۲۔ کھرٛ ٹنگ ژھٹُن، گرٛنی کرُن۔
کرٛکھ گرٛھنۍ:- ا۔ بڈٕ آلو یا صدا گرٛھن۔ ۲۔ سأرۍ ہے ترٛے گرٛھن۔
کرٛکھ لاینۍ:- زورِ آلو دیُن ہبڈہتہِ (کانٛہہ) بُلاوُن۔
کرٛکھ ووٗتھنۍ:- باز خاس لگُن۔ بۄج ووتھُن۔
کرٛیکہِ گرٛھن:- اَچھن پیٹھ کھسُن، لوٗکہٕ ہنٛز زیوٗ پیٹھ کھسُن۔
کرٛیکی تُلُن تہٕ کرٛیکی بیہناوُن:- تہِ ڈیتھ گوگُنہِ ساتہٕ تہٕ نہٕ سوکھٕ سان بیہنہٕ دیُن۔ پرٛتھ وِزأڈ زأڈ کرٛنی تہٕ نستہِ کٔنی کڈُن۔
کرٛم ۱:- [ن۔مؤل: کرٛم ح س: کرٛمہٕ]۔ ترتیب۔

سلسلہٕ ہیہِ پۄتُس پتھ ییہِ۔

گژمہٕ رۄس:۔ بےٚ حساب، بےٚ طور۔

گژمہٕ گژمہٕ:۔لوتہٕ لوتہٕ، وارٕ وارٕ۔حسابہٕ حسابہٕ۔

گژمہٕ گژمہٕ پکُن:۔حسابہٕ حسابہٕ پکُن۔بےٚ ولیہِ کٲم نہٕ کرٕنۍ۔

گژمہٕ گژمہٕ گالُن:۔ہَنہٕ ہَنہٕ ختم کرُن۔

گژم۲:۔[ن۔مؤل: کژم < س: اُ کژمہ]۔ بڑُگس۔ مِ: لتہٕ کژم۔

گژمہٕ ہاکھ:۔[ن۔مؤل: کژمہٕ ہاک < س: کڈمبہ/ < ف: کرم+ < س: شاکہ] اَتہٕ ہاکھ یتھ نہٕ مۄنجہٕ آسن۔

کژنڈ:۔[ن۔مؤل: کژنڈ < س: کرنڈ]۔ا۔کانیولوپُن ہیُوہ۔ ۲۔مُتھ۔۳۔بانہٕ۔۴۔(ہزلہٕ) وبۄڈ انسان۔

کژنڈوار:۔لوگُٹ کانیولوپُن۔لوکٹ مُٹ۔

کژنڈ زالُن:۔لشہٕ تیٚنتی بیتر کتر بانن منز تھۄتھ زالنۍ۔لشہٕ زۄل کرُن۔پھژ وو زالُن۔

کژنژ:۔[ن۔مؤل: کژنژ <؟ س: کژنڈ]۔ا۔اُڈۍ جہ پنٛجر۔جسمہٕ چہ سارے اُڈۍ جہ۲۔ڈانچہٕ۔

کژنژ موژُن:۔ا۔سبٹھاہ کمزور گژھن۔ ماز بیترٕ ہُرتھ پیۄن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) خوفہٕ بیترٕ کنۍ ژمُن۔ہُرتھ پیۄن۔

کژنژ نیرُن:۔سہو کھُن۔ہُرتھ پیۄن۔دِگ لگنۍ۔

کژنگ:۔[ن۔مؤل: کژنگ]۔اکہٕ قسمُک کاوشُپ۔

کژۍ۱ کژیےٚ:۔[م۔مؤل: کژے < س: کژیا]۔ ا۔عمل۔۲۔مذہبی رَسم۔کرم دَرم۔مِ: کژیےٚ کھوتہٕ چھُ انصاف بۄڈ۔

کژے کرٕنۍ:۔عمل کرٕنۍ۔رٕژ کٲم کرٕنۍ۔مِ:

کرتو کژے تہٕ ییہہ تو پیٚنچھ (شیخ العالمؒ)

کژیٚن تہٕ ماسہٕ وارن گژھن:۔(ووہو پژھی وَنان) کانٛہہ گژھن۔

کژییہٕ پھۄت:۔سہ پھۄت یتھ اَندر تمہ ساری چیز تھونہٕ یِوان چھِ ییم موردس کژے کرنہٕ باپتھ یارٕ بل والان چھِ۔

کژییہٕ کرنہٕ:۔(بٹن ہنٛد) موردس کرم دَرم کرُن۔

کژییہٕ کھوتہٕ چھُ اِنصاف بۄڈ:۔تہٕ ذٕپتھ گو مذہبی رسم پالنہٕ کھوتہٕ چھُ دَیا یا رَحم تھۄد درجہٕ تھوان۔

کژے۲:۔[م۔مؤل: کژے]۔وٕژنۍ دانہٕ یُس وَومتہٕ دانہٕ برونٛٹھے وٲترِس کھسان چھُ تہٕ باقی دانہٕ برونٛٹھے پُتھ ہران چھُ۔

کژییہٕ گنہار:۔گنہارُک سُہ قسم یتھ لایہٕ نیران چھنہٕ۔

کژاپھ:۔[ن۔مؤل: کژاپ < آوازٕ پٹھ]۔ سو آواز یُسہٕ گُل بیترٕ پھٹتھ پننہٕ ستۍ نیرِ۔

کژاٹھ:۔[م۔مؤل: کژاٹھ < چھو "کژٹھ"]۔ کژٹھ۔ مِ: تمہٕ کۍ کژاٹھ۔

کژاڈ:۔[مؤل: کژاڈ < ہ: کراڈ]۔ا۔سُہ باپٲری یُس دۄمبر بن حساب بوزِ۔۲۔کۄنجوس۔

کژار:۔[ن۔مؤل: کرار < س: کلاڑ]۔ چاروایٖن مُسلہٕ

ہوژنچ ہمأری ییمہٕ ستۍ تمن مُسلہٕ کاورتھ ووتھان
چھُ: چاروایَن ہُنٛد سہ دود ییمہٕ ستۍ یمن دبل چھُ
ووتھان۔

کڑارُن:۔[ن۔مؤل: کڑارَن <س: کُلالہ+اُن]۔
ا۔میژٕ مُشکھ یوسہٕ پینہٕ آمتین میژٕ بانَن یوان
چھےٚ۔۲۔وگہراوُن۔مُشکھ یُس پلوس ژھو کھلکنہٕ
ستۍ ووتھِ۔آمُن۔

کڑاس:۔[ن۔مؤل: کڑاس <الگ: کراس Corss]
ا۔پٔنچ قأنچی۔۲۔کرٕ ٹوٹہٕ یُس بجلی کوٗٹس دولہٕ
لٲرِتھ چھُ آسان تہٕ یتھ منز کلپٹہٕ بنٛد چھِ روزان۔
۳۔عیسایَن ہُنٛد مقدس نشان۔

کڑال:۔[ن۔مول: کڑال <س: کُلالہ]۔سہ کٲرگر
یُس میژٕ بانہٕ بیترِ تھُران تہٕ پَیان چھُ۔کہترو بانہٕ
بناوُن وول کٲرگر۔

کڑالَس کھوٚنٛد بانہٕ:۔[پھُٹمُت چیز چھُ سہ بناون
وألی سے حصہٕ یوان۔

کڑالہٕ پَن:۔سو پَن داو ییمہٕ ستۍ کڑال ژژیچہٕ
پیٹھ بانہٕ ژٹان چھُ۔

کڑالہٕ ژٕنج:۔سو ژژٹ یتھ پیٹھ کڑال بانہٕ تھُران چھُ۔

کڑالہٕ کوٚنٛدِلدٕ ن:۔سخ سزا دِیُن۔زِنٛدے زالُن۔

کڑالہٕ کوٚنٛڈ:۔سو کونٛڈ یتھ منز کڑال بانہٕ چھُ پیان۔

کڑالہٕ میژٕ:۔سو خاص قسمچ میژٕ یتھ کڑال مُنٛڈِتھ بانہٕ
بیترِ تھُران چھُ۔

کڑالہٕ وان:۔سو جاے ییٚتِھ کڑال بانہٕ بیترِ تھُران
تہٕ پیان چھُ۔کڑالہٕ سُنٛد کارخانہٕ۔

کڑالہٕ اَنٛژٕ ن:۔اَکھ داں ذاتھ۔

کڑالہٕ سٔنگر:۔اَکہ ڈٕکرِ ہُنٛد ناو یوسہٕ وولرس اَکہِ
پاسہٕ چھےٚ۔

کڑالہٕ موٚنٛڈ:۔اَکھ وٕنۍ سبزی یوسہٕ نٕجی کھوان چھِ۔

کڑام:۔[م۔مؤل: کڑام <س: کرٚمہ]۔ذاتھ پیشگ ناو۔

کڑام چھاپام:۔تہٕ دٕپتھ گوکانٛہہ پیشہٕ پانہٕ ناوہٕ
ستۍ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ وٕنۍ پانہٕ بنان۔

کڑانگہٕ ہانٛگل:۔دوٗرِ چ رِشتہٕ دأری۔دوٗرِ دراز رشتہٕ۔

کڑانگھ:۔[ن۔مؤل: کڑانک]۔نگ یُس گُنہٕ وستس
یا زیورس جٔرنہٕ یوان چھُ۔

کڑاو:۔[ن۔مؤل: گڑاو]۔ا۔پھَل بیترِ وٕٹُن۔پھَل
لوٗنُن، چھومبُن یا چھانٛٹُن۔۲۔اَکھ گامہٕ ہٕ ڈ دوہ
یُس سونتہٕ کہِ گوڈٕ نِکہِ دوہہٕ آسان چھُ، اَمہِ دوہہٕ
چھےٚ کھاہَس کأم لاگنہٕ یوان۔گونٛگل۔

کڑاو کرٕنی:۔پھَل سوٚمبرُن۔وٕدومُت پھَل وٕٹُن۔
اَناج بیترِ لوٗنِتھ کٔرِتھ سوٚمبرُن۔

ہ۔کڑاوُن:۔[ن۔مؤل: کڑاو <س: کرٕ]اَنٛزراوُن۔
اَنٛد واتناوُن۔م: کرُن کڑاوُن۔

کڑاے:۔[م۔مؤل: کڑاے <س: کٹاہہ]۔ا۔بڈٕ تہٕ
ژٕکہِ سٕنٛز تأو یتھ منز کھبنہٕ چیز تلان یا دود بیترِ
کاران چھِ۔۲۔سخ گرم۔گرٕ یشم۔

کڑایہ پاکھ:-۱۔ کڑایہ اَندر تلنہٕ آیتی کھبنہٕ چیز بیترِ۔۲۔ اَکھ کڑام۔

کڑاے پینٛۍ:-(ووہو) پھُسر وَسنہٕ۔ بَستہٕ وَسنہٕ۔

کڑاے تیٛنۍ:-سَخ گرٕم کرُن۔

کڑاے ژھننۍ:-۱۔ پھُسر والنہٕ۔ زالُن۔ رٕہر ترٛاوُنۍ۔۲۔ (کانٛسہِ ہُنٛد) پرٛواے نہٕ کرُن۔ بلاے ژھننۍ گال کھاتس ترٛاوُن۔

کڑاے کرٕنۍ:-سَخ گرٕم کرُن۔ گرٛیشم تَتُن۔

کرُٕٹ:-[م۔ مؤل: کرٛنچ < س: کٹہ] گاسہٕ تیٖلم۔ پرٛاجہٕ چوٗر۔ اُلی شہٕ کانٛڈک بوس۔

کرُٕژھ:-[م۔ مؤل: کرٛژھ < س: کرشکا]۔ داتُو گول پوٗھر گرِتھ چونٛچہٕ۔

کرُٕژھ بزٕنۍ:-۱۔ رَنُن۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) واز کار کرُن۔ واز گی کرٕنۍ۔۳۔ کُنہٕ مامَلس منٛز ٹُلی دٕخل دیُن۔ م: چونٛچہٕ گلہٕ وُن۔

کرُٕژھ بگارٕنۍ:-ٹُلی دٕخل دیُن۔ ٹُلی زَنگ ژھننۍ۔

کرُٕژھ کھینۍ:-۱۔ (کانٛسہِ ہِنٛدِس مَرنَس پتھ) اَنتہٕ [illegible] کرٛژھ پأتھہٕ دان دیُن۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) مورِد ماس مال کرُن۔

کرُٕنڈ:-[م۔ مؤل: کرٛنج < س: کرَنڈی]۔۱۔ بُڈ بَچ۔ بُڈ ڈاکر۔۲۔ حلواے رٕمی۔ کف گیر۔

کرٛاج:-[م۔ مؤل: کرٛاج < س: کُلالی]۔۱۔ کرٛالہٕ سٕنز زَنانہٕ، کرٛالہٕ باے۔۲۔ بانہٕ تھُرَن واجینۍ۔

کرٛأر:-[م۔ مؤل: کرٛأج < س: کلالٹہ]۔

کرٛأنکھ:-وُچھِو "کرٛانکھ"۔

کرٕو:-اَکِس پچھنہٕ سُند ناو۔

کرِیا:-[م۔ مؤل: کرٛیا < س: کرِیا]۔۱۔ تِم مذہبی رٕسم یِم بٹہٕ کانٛسہِ ہِنٛدِ مرنہٕ پتہٕ دٕہن دوہن صبحن وُتھتھ کران چھِ۔۲۔ عَمل۔ کام۔

کرِیا کرم:-[ن۔ مؤل: کرِیا کرم < س: کرِیا کرمہ] مذہبی رٕسوم بیترِ یِم بٹہٕ مورِدس کران چھِ۔

کرِیاوان:-[مؤل: کرٛیاوان < س: کرِیاوان]۔ نیم دٔرم کرن وول۔ عملہٕ وول۔ یُس عبادتھ کران آسہِ۔

کرٛیٛچ:-[م۔ مؤل: کریٛچ]۔ آبس منٛز پھٕبن وول اَکھ وٕسنی گاسہٕ، اَتھ چھِ نَل ووز جارِ سان تہٕ وُتھر ڈُلامی آسان۔

کرٛیہہ:-[ن۔ مؤل: کرٛیہہ < س: کرشہ]۔ پژون اَکھ وَزن۔ پلک ژوٗرِیم حِصہٕ۔

کرٕپنۍ۱:-[م۔ مؤل: کرٕپنٛز < س: کرٕپنی]۔۱۔ سو زَنانہٕ یَس پانہٕ ہے کُن پُو آسہِ۔ کُنٛڈ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سو زَنانہٕ یوسہٕ مُنافقت کران آسہِ۔ دُپَن دلاز زَنانہٕ۔

کرٕپنۍ۲:-[م۔ مؤل: کرٕپنٛز < س: کرٕپانی]۔ کأژ۔ دُکأری۔ مقراض۔

کرٕپہ ہاکھ:-[ن۔ مؤل: کرٕپہ ہاک < کرٕپ۔ آوازِ پٹھ+ س: شاکہ]۔ ٹلی نِس پٹھ جَل جَل رٕنمت

تڑ ۆش ہا کھ۔

کڑپُن :- [ن۔مؤل: کڑپ <ۆچھو کڑپھ ]۔
ا۔ تڑاش ہیٚنۍ۔ ژھوٚ ٹراوُن۔ ۲۔ پُڑ پار گرِتھ
تڑاوُن۔ پُڑنُن۔ ٹَھ دِنۍ۔

کڑپیٚار :- [ن۔مؤل: کڑپیٚار <ۆچھو "کڑپُن" ]۔
کۆنجۆسی۔ اتھٕ وۆتھ نہٕ آسُن۔ بخیلی۔

کڑپھ :- [ن۔مؤل: کڑپ <س: کڑپ]۔ ڈُکارِ ستۍ
ہیوٚ تمُت تڑاش۔ مَس ہیوٚن۔

کڑپھ دیُن :- ٹَھ دیُن۔ ڈُکارِ ستۍ ژٔٹُن۔ تڑوانۍ۔

کڑپھ کرُن :- تڑاش ہیوٚن۔ ژھوٚ ٹراوُن۔

کڑپھ کڑپھ :- دَنٛدٕ ستۍ کینہہ تڑُ کنٛج یا ٹکنٛج آواز۔

کڑپھ ہیوٚن :- تڑاش ہیوٚن۔ ژھوٚ ٹراوُن (مَس بیترِ )۔

کڑتھ :- [ن۔مؤل: کڑت < آوازِ پیٹھ]۔ شاہ کرنٛچ یا
وانٛلنٛچ آواز۔ ستھ دتھ۔ اِنہہ بیترِ۔

کڑتھ کڈُن :- ا۔ لوتہٕ آواز کڈنۍ۔ لوتہٕ پأٹھۍ
کینہہ وَنُن۔ ۲۔ واد کرُن۔

کڑٹُن :- [مؤل: کڑٹ <س: کڑشٹہٕ ]۔ ژمُن۔
ہوکھُن۔ کمزور گژھن۔ وۆتلُن نہٕ۔

کڑٹیومُت۔ ژٹھیومُت :- سو ژیومُت۔ ہوٚ کھمُت۔
کمزور گومُت۔ یُس نہٕ وۆتلانۍ آسہ۔

کڑچ :- [ن۔مؤل: کڑچ < آوازِ پیٹھ ]۔ ا۔ سو آواز
یوسہٕ سکھ بیترِ دَنٛدَن تل یِنہٕ ستۍ نیرِ۔ ۲۔ سہٕ سخ
چیز یُس کانٛہہ کھینہٕ باو کھوان دَنٛدَن
تل یِیہ۔ ۳۔ سو آواز یوسہٕ دأر برٛ دِنہٕ مُژرنہٕ ستۍ نیرِ۔

کڑچ کڑچ :- ا۔ دَنٛدَن تل سکھ ژانٛچنٛج آواز۔
۲۔ سو آواز یوسہٕ دأر یا دَرواز بیترِ دِنہٕ مُژرنہٕ وِزِ
نیران چھےٚ۔

کڑچ کڑچ کرُن :- ا۔ (سِنٛس) ژاپنہٕ تلہٕ اۆز مُت
آسنہٕ کنۍ آواز نیرٕنۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سبزی
بیترِ سیٚنیمژنہٕ آسنۍ، سیٚنہِ بلکل سیٚنیومُت نہٕ آسُن۔

کڑچ کڑچ گژھن :- [دَنٛدس تل ترأوِتھ کُنہِ
کھینہٕ چیزس سیکہِ پھٔلۍ ستۍ آسنہٕ کنۍ آواز نیرٕنۍ۔

کڑچ گژھن :- ا۔ کھینہٕ چیزس سکھ بیترِ ستۍ آسنہٕ
کنۍ کھوان کھوان سکھ ژانٛچ آواز نیرٕنۍ۔ ۲۔ دأر
یا درواز بیترِ دِنہٕ مُژرنہٕ وِزِ تھ کڑچ آواز نیرٕنۍ۔

کڑسمس :- [ن۔مؤل: کرِسمس < اَنٛگ : کرِسمس
Christmas]۔ عیسایَن ہُنٛد اَکھ بوٚڈ دوہ یُس
۲۵ دسمبر مَناونہٕ چھُ یِوان، یہِ چھُ حضرتِ عیسیٰ
سُنٛد زایہِ دوہ مانہٕ یِوان۔

کڑشن :- [ن۔مؤل: کرِشن <س: کرِشنہٕ ]۔ (ہِندو دَرمہٕ
موجُوب) ویشنوٗ سُنٛد اِٹھیم اَوتار یَیمۍ گیتاوٕنۍ۔

کڑم :- [ن۔مؤل: کڑم <س: کوٗرمہٕ ]۔ کچھوٕ۔
مگرمژھ، اَکھ جانور یُس آبس منٛز روزان چھُ۔

کڑم سَر /کرم سَر :- [ن۔مؤل: کڑم سر <س: کڑمہٕ سَر]۔
کوٗسرناگ یتھ وِشنہٕ پادتہٕ وَنان چھِ۔

کڑہہ :- [م۔مؤل: کڑہہِ <ع: کرہ]۔ ا۔ یگراوُن،

پھکھ، کٕتھ ۔۲۔ سُہ گنٛڈ مادٕ یُس ئوٗلہ وِزٕ ہرس بہان چھُ۔

کرٕہُن/کرُٕہُن ۱:۔[ن۔مؤل: کرٕہن <س: کرِشنہ] ژنہِ رَنگہٕ۔سفید مُقابلہٕ، کالہٕ۔

کرٕہنٕ جٔرٕ :۔[م۔مؤل: کرٕہنٕ جٔرٕ <س: کرِشنہ+ جٔنا]۔اَکھ وٕسنٕ گاسہٕ یتھ نیٖوٗل پوٗش پھولان چھُ۔

کرٕہنٕ وانٛج :۔دوٗربکر۔یوٗرک نہٕ کینٛہہ وٕرٕشُن۔

کرٕہُن بُتھ گرٕشھن:۔روسیاہی گرٕشھنٕ۔چھتہٕ گرٕشھن۔

کرٕہُن کِتہٕ کال ہیوٗہ:۔سخ کرٕہُن۔

کرٕہُن ۲:۔[ن۔مؤل: کرٕہ < کرٕہ۔آوازِ پِیٛٹھ]۔ پزایہ کو کرِہنٛد کرُٕت کرُٕت۔

کرٕج:۔[م۔مؤل: کرٕاُج]۔اَکھ وٕسنٕ گاسہٕ یُس داں زٔمینس چھُ کھسان۔

کرٕڈ ۱:۔[م۔مؤل: کرٕڈ]۔گنٛڈی داردوپھ۔

کرٕڈ پھٔلے :۔۱۔پوٗش یم سُلہٕ سوٗنتہٕ کرٕڈ تھٔربن پھولان چھِ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) یوٗدٕن سوٗنتھ کال۔

کرٕڈ تھٔر :۔کرٕڈک سُہ قِسم یتھ لٔنجہٕ زیٖچھ چھےٚ گژھان۔

کرٕڈ زال :۔۱۔سو جاے یتھ گنٛڈی تھٔر بو نال آسہٕ وٕلُمت۔یتھ جایہٕ کرٕڈے کرٕڈ آسن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) دٕنٛیا سمسار۔

کرٕڈ زالس لگُن :۔پھسُن بند گرٕشھن۔ہہنٕہ یُن۔ موکلن پاے نہٕ آسُن۔

کرٕڈ زالس منٛز ہہنٕہ یُن :۔تتھ پاٹھی پھسُن یُتھ موکلن پاے روزِ نہٕ۔تتھ پاٹھی بنٛد گرٕشھن یُتھ یَلہٕ گرٕشھنٛچ کانٛہہ وو میدروزِ نہٕ۔سمسارس منٛز پھسُن۔

کرٕڈ زال وٕلنہٕ یُن :۔ہہنٕہ یُن، تیٚتھ گرٕشھن یُتھ موکجارٕچ دَتھ روزِ نہٕ۔

کرٕڈ ۲:۔[ن۔مؤل: کرٕڈ <س: کرٕور ]۔ظاِلم، بدذاتھ، یُس ساریٚ نے تنگ کرٕان آسہِ۔م:

بگوانہٕ ووٚنی کرپَنہٕ نی دَیا
زُلچوٗ کرٕڈ سُنٛد بیا کاس

کرٕڈا:۔[م۔مؤل: کرٕڈا <س: کرٕیڈا]۔گنٛدٕن، گنٛدٕ باشہِ، لیلا۔کھیل۔

کرٕڈُن ۱:۔[ن۔مؤل: کرٕڈ <س: کرٕیڈنہ]۔گنٛدن۔ وولسنٕس یُن۔

کرٕڈُن ۲:۔[ن۔مؤل: کرٕڈ <س: کلیدنہ]۔دوٗشُن، پٔشپُن۔

کرٕڈَن لَد :۔سُہ زٔمین یتھ ژکہٕ پونٛی یوان یاوٗزان آسہِ۔

کرٕر :۔[ن۔مؤل: کرٕر]۔اَکھ وٕسنٕ گولاب۔

کرٕرٕ :۔[م۔مؤل: کرٕرٕ]۔اَکھ وٕسنٕ سبزی یوسہٕ لٔوکھ وزاگس بیترٕ منٛز کھسوان آسی۔

کرٕل ۱:۔[ن۔مؤل: گرٕل <س: کپٹہ]۔اَکھ قِسمکی نکہٕ کیٚنی یم انا جس بیترِ لگان چھِ۔مُرکشہٕ کیٚنی۔

کرٕل ۲:۔تمہٕ پوشہٕ تھٔرِ یمہٕ بٔٹہٕ کھانڈرس پیٚٹھ دارس چٔونہٕ تہٕ رَنگہٕ سٕتی بناوان چھِ۔

کرٕلہٕ ژوچہِ :۔تمہٕ ژوچہِ یمہٕ بٔٹہٕ کرٕل کھارَن وِزِ باگران چھِ۔

کرٕل۳: -[ن۔مۆل: کرٕل]۔ سولأ ومۆر یتھ ورلگہِ۔ لأومۆر ییمہِ ستیٚ زِنی بورس بیترِ گنڈ گری ز۔

کرٕلہِ وپر۔ ٹٹھ وپر: -سو وپر ییمہِ چہِ لنٛجہِ کرٕلو کنہِ لگان چھےٚ۔

کرٕلہِ پچھ: -[ن۔مۆل: کرٕلہِ پچھ <؟س: کرٕوٗر+ پکشہ]۔ شُر بن ہنٛدِ باپتھ مۆر تھ کُرتھ پٔچھ نچھ پُتر۔

کرٕت: -[ن۔مۆل: کرٕت <س: کہ+ کرٕتہ]۔ ا۔بَد۔ پچھ۔ ناکار۔ یہ خوش ییہ نہٕ۔ ۲۔ بٔدی۔

کرُت کرُن: -بٔدی کرٕنی۔ یتہِ کرُن تیٚچ نہٕ ووُمید آسہِ۔

کرُت کرُت: -[ن۔مۆل: کرُت کرُت < آوازِ پیٹھ] ا۔آواز یوسہ کو کرپوٗتنن آلو کرنہٕ وِزِ کڈان چھِ۔ ۲۔ بکواس۔ بگھ بگھ۔

کرُت کرُت کرُن: -ا۔ بکواس کرُن۔ بگھ لاگُن۔ ۲۔ کرٕوٕنی کرٕونی کرُن، پتےٚ لگتھ تنگ کرُن۔

کرُت کرُت لاگُن: -کتھِ ہر لاءٕ گنٛز۔ ووج ووج دِنس نہٕ تھیچھے ٹلنٛز۔

کرُہ: -[ن۔مۆل: کرُہ <؟ع: کرہ]۔ گرٛانہٕ کرن وول۔ (من) پھر ناوَن وول۔

کرُہ لَد: -بٔد مزٕ ییمہِ ستیٚ من پھیر ییمہِ ستیٚ دزٕ دکھیہِ۔

کرُہُن: -وُچھو ''کرُہُن'' لفظس ستیٚ۔

کرٕوٗٹھ: -[ن۔مۆل: کرٕٹھ <س: کِلشٹہ]۔ ا۔ وُٹکر۔ ووکھ۔ ۲۔ مُشکِل۔ سخ۔

کرٕوٗٹھ آسُن: -تیٚتھ آسُن یتھ اَنٛز راوَنس تھوس ییہ۔ مُشکل آسُن۔

کرٕوٗٹھ باپار: -وُلہِ باپار۔ سہٕ کاربار یتھ منٛز زوٗنژُن پیہِ۔

کرٕوٗٹھ پیوٚن: -ا۔ وُٹکر پیوٚن۔ ۲۔ مُشکِل پیوٚن۔ ژالُن، مُشکِل گژھن۔

کرٕوٗٹھ گژھن: -بارِ پیوٚن۔ وُٹکر پیوٚن۔ تیٚتھ کینٛہہ گژھن یہ ژالُن مُشکل گژھہِ۔

کرٕوٗد: -[ن۔مۆل: کرٕوٗد <س: کرٕودھ]۔ ژٔکھ، شرارتھ، پھوٗشنٛز۔

کرٕوٗدِلَد: -ژٔکھِ ہوٚت۔

کرٕوٗد ہوٚت: -ژٔکھِ بوٗرُت۔ یَس شرارتھ آسہِ۔

کرٕوٗد کرُن: -ژٔکھِ گژھن۔

کرٕوٗدی: -[مۆل: کرٕودی <س: کرٕودھی]۔ یَس کرٕوٗد آسہِ کھوٗتمت، ژٔکھل۔

کرٕوٗدی گژھن: -ژٔکھ ءِ سنٛز۔

کرٕوٗدا: -[ن۔مۆل: کرٕر <س: کوٹار]۔ زمینہِ تلہِ پونٛی کڈنہٕ باپتھ کھنہٕ آمت کھہہ۔

کرٕری پہۍ: -کریرِ کہِ دلوٗک یا تولہِ کوٗٹیک سہٕ حصہٕ یتھ ستیٚ رز گنڈتھ آسان چھےٚ۔

کرٕری چَرخ: -سہٕ چَرخ یا گر کنٛز ییمہِ ستیٚ کرٕیرِ منٛز تولہِ وور بوٗڈنأ وٕ بوٗڈنأ وٕ آب کھاران چھِ۔

کرٕری ژوک: -سہٕ لکرِ دلوٗیُس کرٕرِس پیٹھ چھُ آسان۔

کرٕری سَگ: -کرٕری وانیگ سَگ۔ تولہِ سَگ۔

کرٕری ووٗنی: -کریرِ منٛزٕ کڈنہٕ آمت آب۔ آب

یُس کرٛ پرس منٛز آسہِ۔

کرٛ یرٛ یٖگ ننہٕ موٗنڈُک:-ا۔یُس دُنی ہیچ سبٹھاہ کم خبر آسہِ۔۲۔تنگ نظر۔

کرٛ وُر۲:-[ن۔موٗل: کرٛ<س: کرٛوٗر]۔وُٹکُر۔ظاِلم۔بے عار۔

کرٛوٗل:-[ن۔موٗل: کرہل]۔تمہٕ پوشہٕ تھرٕ ہشہٕ یمہٕ بٔنہٕ کھاندرس پیٹھ دارس چوٗنہٕ تہٕ رَنگہٕ ستیٖ بناوان چھہِ۔کرٛل۔

کرٛوٗل کھارُن:-بٔنن ہُند کھاندرس پیٹھ دارس ڈٕچھنہِ کھوٗرِ پوش یا پوشہٕ تھرٕ ہشہٕ بناوُنہٕ۔

کرٛوٗہ:-[ن۔موٗل: کرٛوٗہ<س: کروٗشہٕ]۔اَکہٕ پلہٕ زمیٖل۔

کرٛوٗہ کڈٕنی:-ا۔زیوٗٹھ مُنزِ لہٕ کڈُن۔۲۔مرنس ووتمُت آسُن۔

کرٛوٗٹ:-[ن۔موٗل: کرٹ<س: کرٛشٹہٕ]۔یُس ژمیوٗمُت آسہِ۔یُس چھٔنتھ پیٚوٗمُت آسہِ۔

کرٛوٗژھ۱:-[ن۔موٗل: کرٛژھ<س: کرشہٕ+کہٕ]۔پاٹھرٕ پوکھر تہٕ زیوٗٹھ دَن گرٕتھ اَکھ سامانہٕ یمہٕ ستیٖ دانہٕ اَندرٕ نار کڈان چھہٕ۔

کرٛوٗژھ لاگُن:-پٔتھ تھوٗن۔تیٖتھ سزا دیُن یُتھ یاد روزِ۔نہبہٕ رَٹناوُن۔

کرٛیٚژھِ کڈُن تہٕ تاوِ لدُن:-تہٕ ڈٕتھ کو ٹکری ووہو کڈٕنی۔ووہو کڈٕنس نہٕ تھپھے ٹٔنی۔

کرٛیٚژھی وَن:-کرٛیٚژھ تھِ۔

کرٛیٚژھی وور:-لوٚکٹ ژوٗٹ یوسہٕ کرٛیٚژھی پوکھرِ کِس پُشتس پیٹھ تاوِ کڈنہٕ ییہِ۔

کرٛوٗژھ۲:-[ن۔موٗل: کرٛژھ<س: کنچکہ]۔ا۔سُہ مُسلہٕ یُس سَرٕ پھوٗہرِ تراوان چھُ۔۲۔ژم۔مُسلہٕ

کرٛوٗژھ تراوُن:-ا۔سَرٕ پھ ہنز پرٛانی ژم تراوِنی تہٕ تَس نوٚو مُسلہٕ یُن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) شکل گنڈٕنی۔طاقتھ کرُن۔زوٗس منٛز یُن۔

کرٛوٗژھ ووتھُن:-مُسلہٕ ووتھُن۔ژم ووٚتھٕنی۔

کرٛیٚژھی اَشُد:-سَرٕ پھ کرٛیٚژھس پیٹھ تیار کرنہٕ آمُت اَکھ اَچھ داٗدِ دوا۔

کرٛونڈ:-[ن۔موٗل: کرٛنڈ<س: کُنڈ]۔ا۔تیٖل مینہٕ ٹِک یا کڈٕنک اَکھ لُٹٕ دار سامانہٕ۔لوٗٹ گرتھ کرٛل یُس تیٖل بیترٕ مینہٕ نس یا کڈٕنس لگان چھُ۔ا۔کونڈ خاص گرتھ مانٛزِ کونڈ۔م:

یژمن بأیے شمع دان زالتے!

مانٛزِ کرٛوٗنڈ والتے دیوان خان

کرٛوٹ:-[ن۔موٗل: کرٛاٹ]۔اَکھ گاڈٕ ذاتھ۔

کرٛور:-[ن۔موٗل: کرٛار<س: کلاٹہٕ]۔سُہ دبل یُس چھوکس بلنہٕ پتہٕ یوان چھُ۔پھپھرس بیترٕ ووتھمُت دبل۔

کرٛور ہیُن:-ا۔زخمس بیترٕ اَنگ کھسُن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) پژوٗن گدرُن مُشتھ گژھُن۔

کرٛورتُلُن:-زخمس اَنگ نٔہوٗن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی)

تمن کتھن پھیُر دیُن یمو ستی بوزن والیس تچھن
ووتھ۔ تیُتھ کینْہہ کرُن۔ یمہٕ ستی پرأنی دوکھ یاد پین۔

کڑون:۔[ن۔مؤل: کڑان]۔ قُبیلہٕ۔ اَنگ اَشناو۔
تم یمن ستی کانْہہ رِشتہٕ آسہِ۔

کڑانہٕ بوڑ:۔ تھدِ خاندانٕک۔ بڈ کولُک۔ تھزِ زأژ ہنٛد۔

کڑانہٕ کوس:۔ یَس مالنٛی طرفہٕ کھوٚتہٕ مُت آسہِ نہٕ۔
یَس کانْہہ ناوہنبس تہٕ آسہِ نہٕ، یَس کانْہہ نکھہٕ
ڈٲکھہٕ آسہِ نہٕ۔

کڑانہٕ نیرُن:۔ ا۔ تہٕ کرُن یہٕ قُبیلہٕ چَنہِ رِوایژن
خِلاف آسہِ۔ پننہٕ ان انگن اَشناون پیٹھہٕ نیرُن۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی) نو دسر گرُھن۔

کڑون پچھ موکھتہٕ ا وٚڈ پونتہٕ:۔ تہٕ ڈیتھ
گو قبیلس یا کولس منز چھنہٕ سأری اَکی ہیو دَرجس
پیٹھ آسان۔ اماقدر چھکھ سارِنے کرنہٕ یوان۔

کڑون وَنٛدُن:۔ ا۔ سأری اَشناو ہتھ بلایہٕ لگُن۔ م:
ہانژہ لہٕ از ووِلہٕ سون    وو لو کڑون وَنِد یو۔
۲۔ زار پار کرنہٕ پُژھی وَنان۔

کڑونت:۔[ن۔مؤل: کڑانت <س: آکڑانتہٕ]۔
عأجز۔ لوٚگمُت۔ بچور۔ م: آر کڑونت۔

کڑوتھ:۔[ن۔مؤل: کڑوتھ <م:ہ: کلتھی]۔ ا۔ تھکاوٹھ۔
دَگ۔ نرِ زنگہٕ آوسیمژ آسنہٕ۔ سخ مُس۔ ۲۔ اَکھ
والہٕ قسم۔

کروتھہٕ کرُن:۔ سخ ماردیُن۔ ہَن ہَن دِ گژی۔
تیُتھ ماردیُن یِتھ کانْہہ صوٚرتھ روزِنہٕ۔

کروتھہٕ گرُھن:۔ ژھیٚنتھ پیون۔ تھکنہٕ ہیتر کنٛی پان لوٚسُن۔

کڑیتہٕ کرم:۔[ن۔مؤل: کڑیتہٕ کرم <س: کڑیتہٕ کرمہٕ]۔
پرأنی اعمال۔ تہٕ یہٕ پٔتی مہٕ زنمہٕ کوٚر مُت آسہِ۔

کڑیشم:۔[م۔مؤل: کڑیشم]۔ اَکھ وۄ سیٚ گاسہٕ۔ یتھ رِز ہیترِ وُٹھان
چھِ یا یُس ہو کھنأوِتھ چارواین تز اوان چھِ۔

کڑینٛجابہٕ:۔[ن۔مؤل: کرینٛجاب]۔ وُچھو "کجابہٕ"

کڑینٛجل:۔ [ن۔مؤل: کڑینٛجل <وُچھو "کڑنڈ"]۔
کانٛیو وِزمُت تھپہٕ ورأے ٹؤ کر ہیؤہ۔ یُس سبزی
بیترِ تھوٚنس لگان چھے۔

کڑینٛجل گرُھن:۔ سخ کمزور گرُھن۔ پننہٕ پننہٕ
گرُھن۔ کانہٕ نیرنہٕ۔

کڑینٛجلہٕ پوٚنی سارُن:۔ تزہ کأم کرنی۔ یتھ اَندر
کینْہہ تہٕ پلہٕ پییہٕ نہٕ۔

کڑینٛجلہٕ پوٚنی گرُھن:۔ کری کری نہٕ کینْہہ تہٕ
سارُن۔ کأم ہیترِ کرِتھ تہٕ نہٕ کینْہہ تہٕ اتھ یُن۔

کڑینٛجلِس لدُن لایق گرُھن:۔ تیوٚت کمزور
گرُھن یُتھ تھوٚ دوو تھنس سوٚمب تہٕ ہکیتھ روزِنہٕ۔
ہُرتھ پیون۔

کڑیہنہٕ۔ہ:۔[ <س: کڑشنہٕ ]۔ یتھ کرُہن رنگ
آسہِ، کڑہنیار سان کرُہن۔

کڑیہنہٕ بڑز:۔ اَکھ داں ذاتھ۔ یتھ نِل کڑیہنیارِ
سان آسان چھِ۔

کرٛیہنہٕ تٕل:- اَکھ تٕلہٕ ذاتھ۔ تم تٕلی یم پُتھ کرٛیہنان چھِ۔

کرٛیہنہٕ توٗسی:- ۱۔ سُہ پیر یتھ تیٚہجہِ کرٛیہنہٕ تہٕ مۄل کاژُر آسہِ۔ کرٛیہنیارسان توٗسی رَنگہٕ پیر یاوۄن۔

۳۔ سُہ تیوٗریس کرٛیہنہٕ توٗسی پیر وَسان آسہِ۔

کرٛیہنہٕ سون:- ۱۔ سو کرٛہنز زمین یتھ گٔتل پٲداوار بووِ۔ ۲۔ (ہزلہٕ) چٔرس۔

کرٛیہنہٕ کرٛڈ:- ۱۔ کرٛڈک اَکھ قسم ۲۔ اَکھ داں ذاتھ۔

کرٛیہنہٕ لیوٗٹ:- اَکھ داں قٕسم یُس یژہ پٲٹھی نمبلہٕ زمینس بووان اوس، اَتھ اوس دانہٕ نیٚک تہٕ توٚملہٕ پھۄل سفید نیران۔

کرٛیہنہٕ ماز:- ۱۔ جسمُک اَکھ اَندریُم تان جگر۔ ۲۔ ژرون۔

کرٛیہنہٕ ماز دَزُن:- (کانٛسہِ ہٕنز زُبدٕ کتھ بوزِتھ) ریٚہہ گنٛڈنی، سخ شرارتھ کھسُن۔

کرٛیہنہٕ ماز کھسُن:- سخ ژاس ینٛی۔ کرٛکھ کرٛکھ دِتھ ہیٚر ہو کھُن۔

کرٛیہنہٕ ماز وَنٛدُن:- بلایہٕ لَگُن، ژُووَنٛدُن، چھیٚپہٕ لَگُن۔

کرٛیہنُن:- [ن۔ مۄل: کرٛہَن <وچھو۔ کرٛہَن]۔ ۱۔ کرٛہُن گژھُن ۲۔ کرٛیہنیار پھیرُن۔ شُس گژھُن۔

کرٛیہنیار:- [ن۔ مۄل: کرٛیہنیار <س: کرٛشنہٕ]۔ کرٛہُن آسنٕچ حالتھ۔ سیٲہی۔

کرٛیہنیار پھیرُن:- رَنٛگ بگرُن کرٛہُن گژھُن ہیوٚن۔ اَکہِ رَنٛگہٕ بیا کھ رَنٛگ گژھن مُرژھا پھیرُنی۔

کریٖپ:- [م۔ مۄل: کریٖپ < اَنٛگ۔ کرٛیپ Crepe] اَکہِ زٲوِی لہٕ کپرُک ناو۔

کرٛیٹھُن:- [وچھو "کرٛوٹھ"]۔ ۱۔ شٹھُن ۔ دَرُن۔ ۲۔ (ورگہِ پٲٹھی) ٹٹھُن ۔ مزاز کٔنی ترٛوشُن۔

کرٛیچھر:- [ن۔ مۄل: کرٛیچھر <س: کرٛچچھ]۔ سختی، دوکھ، تکلیف، کشٹ۔

کرٛیچھر تُلُن:- سختی برداش کرٕنی۔ دوکھ ژٕلُن، کشٹ ہیوٚن

کرٛیچھر ژٕلُن:- وچھو "کرٛیچھر تُلُن"۔

کرٛیشہٕ وار:- [م۔ مۄل: کرٛیشہٕ وار]۔ اَکہِ قسمُچ لوکٹ کترٕ وہی نار۔

کرٛیشہٕ وُن:- پژٕرُن۔ وچھ وُن۔ یُس کُنٛچ سخ کل آسہِ۔

کرٛیشُن:- [ن۔ مۄل: کرٛیش <؟س: کلش]۔ ۱۔ کُنہِ چیز باپتھ پھیٚہہ پھیٚہہ کرُن۔ ۲۔ کُنہِ چیزِچ سخ کل گٔنی۔ کانٛہہ چیز اَتھس منٛز اَنُنہٕ باپتھ بےقرار سپدُن۔

کرٛینکہٕ نَد (نَدی):- [م۔ مۄل: کرٛینکہٕ نَد <؟س: کنکہٕ ندی]۔ اَکہِ کولہِ ہُنٛد ناو یوسہٕ گنٛگہٕ بَل گژھوُن وٲیل کٔدلہٕ ہیوٚر پہن یوان چھےٚ تہٕ یتھ منٛز یاترٕی شرٛان چھِ کران۔

کرٛینکھ:- وچھو "کرٛانکھ"۔

کرٛینکہٕ نُون:- نُونُک اَکھ قسم یُس شوٚد تہٕ صاف چھُ آسان۔

کرٛینکہٕ واج:- سو واج یتھ کرٛینکھ لٲگتھ آسہِ۔

کرٕل:- [ن۔ مۄل: کرٕل <س: کجّلہ]۔ ۱۔ تمُن۔

ڈٕہیٚگ کرٕ یٚہنیار۔۲۔سورمہٕ بیترِ۔

کزٕلی:۔کرٕیٚہنہٕ رَنگہٕ، یتھ ٹمن گوٗمت آسہٕ۔

کرزٕلی بمہٕ:۔کرٕیٚہنہٕ بمہٕ۔

کزٕلی گرٕھن:۔ڈٕہی لد گرٕھن۔مُلکت گرٕھن۔

کزٕل کرُن:۔۱۔ژانگس پٹھ تھوٗتھ ٹمن لار ناوُن، گرٕہن وُچھنہٕ باپتھ شیٚشس کرٕیٚہنیر کرُن، پھٕپھرُن لاگنہٕ باپتھ کزٕل بنٲوُن۔۲۔سورمہٕ لاگُن۔

کٔڑ:۔[ن۔مؤل:کڑ]۔قرارس، ڈٔنجہٕ، ژھوپہٕ دوپہٕ گٔرتھ شرارتہٕ روٗس۔

کٔڑ بہُن:۔ژھوپہٕ دوپہٕ گٔرتھ بہُن، شور بیترِ نہٕ کرُن، ڈٔنجہٕ بہُن۔

کٔڑ تھوٗن:۔حدس منز تھوٗن، قوبوٗہس منز تھوٗن۔ نیرتھ نہٕ گژھنہٕ دیُن۔

کٔڑ روزُن:۔ڈٔنجہٕ روزُن۔ اور یور نہٕ ڈٔلُن۔ ژھوپہٕ دوپہٕ گٔرتھ بہُن۔

کرٕژل:۔[ن۔مؤل: کرٕژل >پرٛاکرت: کچ چولہ]۔ ڈوٗڈٕ گولرٕ چالہِ داتگ بیترِ بنیومُت چیز یُس بٹن ٹیوٗک بیترِ تھوٗنس لگان چھُ۔

کرٕژل ڈوٗن:۔ڈٔندرِ انٛد پیوٗٹھس پٹھ بنٛد گٔرتھ زٕ کرٕژل یمن ڈوٗنٛچ ہِش شکل بنان چھےٚ۔

کڑھ۱(کس):۔[ن۔مؤل: کڑھ، کس >س: کنسہٕ] یُس زٔنگار، سرتلہٕ بانٛن بیترِ کھسان چھُ۔

کڑھ لگُن:۔۱۔زٔنگار لگُن۔۲۔کھبنہٕ باوس سرتلین لگُن یمہٕ سیتیٚ مزٕ بگران چھُ۔

کڑھ۲:۔[ن۔مؤل: کڑھ: پرٛاکرت: کچ چھُ >س: کلکشہٕ]۔نریالنگہٕ کس موٗلس تل ؤتنہٕ ییٚنچ جاے۔

کڑھ بزور:۔اکہٕ قسمُک پھٕپھریُس یُتھ پأٹھۍ کڑھس منز نیران چھُ۔ سُہ پھپلیُس کڑھس منز نیر۔

کڑھ گاڈ:۔سُہ گریُس پھٕپھرن یا زخمن بیترِ کڑھس منز کوٗرمُت آسہٕ۔

کڑھ لنجہٕ:۔گلہٕ چہ نچہ لنجہٕ یمہٕ لگن بوٗنی کنہٕ آسن۔

کڑھ وال:۔تم وال یم کڑھس منز کھسان چھِ۔

کڑھ وٕٹ:۔سوٗزج یوسہٕ پھرنس گرتنہٕ بیترِ نرِ تہٕ پھکیس جوڑس نش ترٛاونہٕ ییہِ یتھ زَن یلہٕ پأٹھۍ واش ہیکہِ زِ کڈتھ۔

کڑوڑھ:۔اکہٕ قسمُک پھٕپھریُس کڑھس منز نیران چھُ۔

کڑھ ہور:۔سُہ تیٛۆر بیترِ یُس کڑھن نش سفید رَنگہٕ بنتھ آسہٕ تہٕ باقےٚ جسمس آسبس دویمہٕ رَنگہٕ۔

کڑھ یُن:۔کڑھس مُسلہٕ تنُن، کہنٛن یا وٕتھُن۔خاص گٔرتھ شُرس۔کڑھن دود کرُن۔

گٔڑھی تلٕی میلُن:۔ژوٗرِ پأٹھۍ سمکھُن۔ژوٗرِ پأٹھۍ رشوٕ واتناوُن۔اَلگیٚ پأٹھۍ سمکھُن۔

گٔڑھی تلٕی نیٚن:۔بیٚن خبر کرنہٕ ورأے کتھ وٕنُن۔ مشوٗر کرنہٕ باپتھ کانہہ پانس نزدیکھ بُلاوُن۔

کڑھ۳:۔[ن۔مؤل: کڑھ]۔مکایہٕ وٕٹ یتھ صِرف جامہٕ تہٕ گیٚشرگاہ آسہٕ۔مکایہٕ سیٚہر۔

کژھ وٕسنز :- مکایہِ ڈکھس مکایہِ وَچہِ ہُند نشانہٕ بُٹن ۔ مکایہِ وُٹ ہٕنزٕ بیٚنز۔

کژٕ ہلی :- [م ۔ مۆل: کژٕہلی] ۔ اَکھ وٕسنز جنگلی کچھ۔ اُتھ چھےٚ مۆلس تل کچ ہِش تہٕ وُتھر مچہِ پٔتر ہی آسان ۔ یہِ چھِ یُثہ پأٹھی سونتھ کالہِ کھوان۔

کژھکرِا :- [ن ۔ مۆل: کژھکر <س: ککشہ + کٹہ ] ۔ سونہٕ سٕنز یا روپہٕ سٕنز نچہِ کأنگنہِ ۔ تمہٕ بُنگر یمہٕ زیادٕ موچہِ آسَن نہٕ۔

کژھکرِ۲ :- [ن ۔ مۆل: کژھکر ] ۔ اَکھ وٕسنز کچھ یتھ لکرس ہیوٚ نیٚگ پَن چھُ آسان تہٕ ہمہٕ چھس مونگچہِ ہِشہِ آسان۔

کس :- [مۆل: کس <س: کسےَ] ۔ کُمس ، سُہ کس چھُ یَس ۔ مِ کس کیت چھےٚ ۔

کس نہٕ گوکس نہٕ گرٛھِ لیس نہٕ گوتس تہِ گرٛھِ :- یہِ دٕپتھ گوٚیس اَکھا ماجہِ زاوتس چھےٚ اَزنہٕ پگاہ مُصیبتن تَن دِنٕی۔

کسَر :- [م ۔ مۆل: کسَر <ع: کسو] ۔ نوٕقص ۔ پھیر ۔ وَر ۔ ۲ ۔ روٗگ ۔ بیمأری ۔ ۳ ۔ چھتھ ۔ کمی ۔

کسَر ژٕٹنی :- ۱ ۔ بَڈا حسابَس منز رقم لوٚ ژراوُن واٗلُن ۔ ۲ ۔ چھونبر مُجراہ دیُن ۔

کسَر کرٕنی :- بیمأری لگٕنی۔

کسَر گژھٕنی :- ۱ ۔ چھوٚنُن ۔ ۲ ۔ بیمار پیوٚن ۔

کسب :- [ن ۔ مۆل: کسب <ع: کسب] ۔ ہونَر ۔ گاٹہٕ ۔ کأری گری ۔

کسب چھُ حبیب اللہ :- تہٕ دٕپتھ گوٚیس کانٛہہ گاٹہٕ آسہِ تُسی چھُ یِزتھ ۔ کسب دار گرٛھِ نہٕ کُنہٕ تہٕ بَند ۔

کسب دار :- ہونرمند ۔ کأری گر ۔ یَس کنٛیگ گاٹہٕ آسہِ ۔

کسب ژاٹہٕ ہال :- سو جاے یتہِ کانٛہہ گاٹہٕ یا ہونَر بیتر ہیٚچھناونہٕ یوان آسہِ ۔

کسب کرُن :- ۱ ۔ اتھہٕ سٕتی کانٛہہ زأوِج کأم کرٕنی ۔ کینٛہہ تہِ کرُن ۔ یتھ منز ہونَر ہٕنز ضوٚرتھ آسہِ ۔ ۲ ۔ (ورگہ پأٹھی) ژھل کرُن ۔ تارٕنی ۔

کسُن :- [ن ۔ مۆل: کس <پراکرت: کسنہٕ <س: کرشَنہٕ ] ۔ ۱ ۔ تلُن ۔ تُلیُن دیُن ۔ ۲ ۔ چارُن ۔ چیز بند کرُن ۔ مِ : نَٹ کسُن ۔

کُستھ بٕزتھ کھیوٚن :- جان پأٹھی کھیوٚن ۔ تِلتھ تہٕ مَسالہٕ بیتر رلأوِتھ کھیوٚن ۔

کسٹم :- [ن ۔ مۆل: کسٹم <اَنگ: کسٹم Custom] گُزر محصوٗل ۔

کس کوے :- [م ۔ مۆل: کس کوے <ف: کس وَ کو] ۔ اُشناو رُشناو ۔ رِشتہٕ دار بیتر ۔

کس کوے دأری :- اُشناوی ، رِشتہٕ دأری ۔

کش :- [ن ۔ مۆل: کش <ف: کش ] ۔ ۱ ۔ کانٛہہ چیز دوٗر لایِنگ طاقتھ ۔ ۲ ۔ کھجر وَہراو ۔ تار ۔ ۳ ۔ تیوٚت فأصلہٕ یتس کانٛہہ چیز لأیتھ ہیکی زٕ ۔

کشہِ لایِن :- زورٕ سان لایُن ۔ پوٚرٕ زورٕ سان چلاوُن ۔

کشہٕ یُن :- ۱۔ زورٕ سان یُن ۔ دَ کہٕ سان یُن ۔
۲۔ دَوان دَوان یُن ۔

کش کڈُن :- سۆرد آرِتھ دِیُن ۔ کلہٕ پیٚٹھی گلہٕ وِتھ لایُن ۔

کش کڈِتھ کھیوٚن :- یَڈ بُرِتھ کھیوٚن ۔

کشپ (ریوٚش) :- [ن ۔ مؤل: کشپ < س: کشیپہ] بڑ ہماسُند زُریس مُتلق وَننہٕ چھُ یوان زِ ستی سَرٕ منٛزٕ پونی کڈِتھ کرٕ نُمی کشیرِ ہنٛز پتھر زٔمی ۔

کشال :- [ن ۔ مؤل: کشال < س: کشہ+ اَل ]۔ ۱۔ میحنتھ ۔ ۲۔ مشکِل ۔ سختی ۔ تکلیف ۔ مِ:
بہٕ ووٚتُس کمہٕ کشالہٕ تور ۔

کشالہٕ :- [ن ۔ مؤل: کشال <? ف: کش+آلہ ]۔ سُہ ہچُو ڈَنڈٕ یتھ پیٹھ بنگر بن بٔتھ کڈان چھِ ۔

کشر :- [م ۔ مؤل: کشر < ع: قشر ]۔ ۱۔ سو ہٹ یوسہٕ مکایہٕ وَچہٕ پھٔلی مؤرِتھ أندرٕ نیران چھےٚ ۔ ۲۔ دڑ ینچھِ راز ماہ ہمہٕ پھٔلی کڈِتھ دالہِ فصلَن ہنٛز گوژ ۔ ۳۔ پھریُس ماچھس ستی آسان چھُ ۔ ۴۔ گیس لمپک سُہ اوزار یتھ ستی مینٹل گنڈان چھِ ۔ ۵۔ ہیٹرُک بیترٕ سُہ حِصہٕ یتھ ستی تارٕ وٚلتھ آسان چھےٚ ۔

کشر گژھنی :- ۱۔ ہمہٕ بیترٕ دریٹھنہٕ ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی ) ہرِتھ پیوٚن ۔ ہوکھُن ۔

کشف :- [م ۔ مؤل: کشف < ع: کشف ]۔ ۱۔ کراماتھ ۔ ۲۔ غأبچ کتھ وَنٕی ۔

کشُن :- [ن ۔ مؤل: کشن < س: کش] پیٹھ لایُنی ۔ زیادٕ کأکرگی کرٕنی ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی ) زیادٕ چھُن ۔ کُنہٕ کتھِ کوٚدٕ کڈُنہٕ ۔ ۴۔ گِکھر لایُنی ۔ گنٛڈ گری کرٕنی ۔ ۵۔ کوٚنڈ لاگُن ۔

کشُنم نہٕ روزٕنی :- کانٛہہ گزارٕ نہٕ روزُن ۔ بلکل غریب گژھُن ۔ وُجارٕ سپدُن ۔

کشُن یُن :- ۱۔ ٹوپھ لگُنی ۔ ۲۔ چھِنی وہٕنی ۔ ۳۔ بٔڑ ووٚتھ یُن ۔

کشنہٕ کشنہٕ چھُ رَتھے یوان :- تہٕ دِتھ گو زیادٕ گِکھر لاگنہٕ کُنی چھُ مأملس وارے زٕ ٹھر لگان تہٕ کھر یوان ۔

کُش کُش کڈُن :- کانٛہہ چیز چٔنٛدٕ أندرٕ کڈُن وُلینٛگ گژھُن ۔ زورٕ چٔنٛدٕ أندرٕ کڈُن ۔

کشٹ :- [ن ۔ مؤل: کشٹ < س: کشٹہ ]۔ سختی ۔ دوکھ ۔ تکلیف ۔

کشٹ بوٚگُن :- سختی ٹٔکنی ۔

کشٹ پیوٚن :- سخ تکلیف سپدُن ۔ کأنٛی سختی گژھٕنی ۔ مُصیبتھ پیوٚن ۔

کشٹ یُن :- مُصیبتھ یُن ۔ سختی ژالٕنی پیٚنی ۔ دوکھس منٛز ہینہٕ یُن ۔

کشتوار :- [ن ۔ مؤل: کشتوار < س: کاشٹہ ولٹہَ ]۔ کشیرِ ہنٛدِس جنوبَس منٛز اکھ پتھرِ ہُندناو یتھ اکہِ پاسہٕ چناب پکان چھُ ۔

کشکول :-[ن۔مؤل: کشکول <ف: کشکول ]۔فقیرٕ سُند بچھَن بانہٕ۔
کشکول پھُٹُن :-بچھَن کیُت بانہٕ تہٕ نہٕ روزُن۔
کشکول تُلُن :-بچھنہٕ نیرُن۔گدأے کرنہٕ نیرُن۔
کشمیر :-[ن۔مؤل: کشمیر <س: کشمیرا]۔کٔشیر۔سہٕ علاقہٕ یتھ منز کأشُر بولان چھِ۔کأشرِ زبأنی ہُند گرٕ۔
کشمکش :-[م۔مؤل: کشمکش <ف: کشاکش] دَرِ دَرِ، لمہٕ لمہٕ، سخ کوٗشش۔
کشمکش کرٕنی :-دَرِ دَرِ کرٕنی۔لمہٕ لمہٕ کرٕنی۔سخ کوٗشش کرٕنی۔
کشمکش لگٕنی :-دَرِ دَرِ کرٕنی پیٛنی۔ژھرٕ ژھٕ لگٕنی۔
کعبہٕ :-[ن۔مؤل: کعب <ع: کعبۃ] مکہٕ شریفس منز مُسلمانن ہُند سہٕ مقدس تہٕ متبرک مقام۔یتھ کُن بُتھ کٔرِتھ مُسلمان نماز چھِ پران تہٕ یتھ أنٛدی أنٛدی طواف چھُ کرنہٕ یوان۔
کف ۱(کپھ):-[ن۔مؤل: کف <ف:۔س: کپھ] ا۔بلغم۔تھوکھ۔پوٗش۔
کف گژھُن :-بلغم کرُن، سینہٕ خراب گژھُن۔
کف گنٛڈ :-اکھ بیماری یمہٕ ستیٕ ہٕٹس ہُنبر چھُ کھسان۔
کف گیر :-ژٔدی دار کھوٚل تہٕ گول پوکھر کٔرِتھ کرایہ پاکھ کڈنہٕ باپتھ چوٚنچہٕ۔
کف ۲(کپھ ۲):-[ن۔مؤل: کپھ <انگ کف cuff]۔نرٕبن ہٕندی پیشہٕ۔

کَفَن :-[ن۔مؤل: کفن <ع: کفن]۔سفید لٹھ یُس موردس وَلان چھِ۔
کفن دفن :-ا۔موردس کفن وَلُن تہٕ ڈُڈراوُن۔۲۔موردٕ ڈُڈراونہٕ بیترِ ٹیک خرچہٕ۔تجہیز و تکفینکی لوٗازِم۔
کفن دیار :-ا۔تِم پأنسہٕ یِم کأنٛسہٕ پأنٛس کیُت کفن اَنِنہٕ موکھہٕ تھوٚوی متیٕ آسَن۔۲۔سہٕ رَقم یُس کأنٛسہٕ ہٕندِس کفنس پیٹھ خرٕچ گژھہٕ۔
کفن ژوٗر :-سہٕ شخص یُس موردس کفن دفن کرنہٕ پَتہٕ رٔمس تہٕ چھَل کڑِ۔یُس نہٕ موردَس تہٕ پَژِ۔
کفنس گژھُن :-(پوٗرٕ فقیرٕ چھُ تَس کفنس گژھُن یَس بیترِ) کأنٛہہ چیز نہٕ آسنہٕ کِنی قسم ہاوُن۔(وۄہو) وُلٹہٕ خرٕچ پیوٚن۔
کفارٕ :-[ن۔مؤل: کفار <ع: کفارہ]۔ا۔سہٕ صَدقہٕ یُس گوناہ بخشاونہٕ موکھہٕ دِنہٕ یِیہٕ۔۲۔سو عبادَتھ یوسہٕ وَقت اتھٕ گژھنہٕ پتہٕ کرنہٕ یِیہٕ۔۳۔(ورگہٕ پأژھی) خسارٕ پوٗرٕ کرُن۔
کفٕنی :-[م۔مؤل۔کفٕنی <ع: کفن]۔ا۔اَحرام۔۲۔سہٕ کفنہٕ یُس مکہ شریفہٕ یِیہٕ اَنِنہٕ۔
ککرا :-[م۔مؤل: ککر <س: کک کھٹہٕ]۔ہٕنٛد وہٕنٛد یا خربُز بیترِ چ گنٛڈ۔
ککر ۲:-[م۔مؤل: ککر <س: کک کھٹہٕ/کرکر]۔مانٛچھ پھٕرِ کی تِم ٹُکرٕ یِم مانٛچھ کڈنہٕ وِزِ اتھہٕ ستیٕ گژھان چھِ۔
ککر ۳:-[م۔مؤل: ککر]۔جٔجیری۔

ککر چینٛز :-تموک چوٗن۔

ککرزالنٛز :-تموک چوان چوان چلمہِ رٕنٛبہٕ کھارٕنۍ۔

ککر وُڈاوٕنۍ :-۱۔ کھلہٕ ڈُلہٕ پاٗٹھۍ تموکا چوٗن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) چٕٹھ کڈُن۔ عاٗشا کرُن۔ ۳۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) ژٕنہِ موٚتھ تراوٕنۍ۔

ککر۴:-[م۔مؤل: ککر]۔(شُری کتھٕ لٕٹھۍ کٕجہِ لٕٹھس منز) بٔنس تہٕ دوٚیٚس مٔنزس یتھ لٕٹھۍ کٔنج چلاوٕنۍ۔ م: پھٕلِس ککر گژھنۍ۔

ککرٕ :-[ن۔مؤل: ککری]۔۱۔تموک چاوَن وول۔ یُس جایہِ جایہِ جٔچیر ہیتھ تموک چاونہٕ باپتھ پھیرِ تہٕ پاٗنسہٕ ؤٹہِ۔ ۲۔(ہزلہٕ) یُس وارٕیاہن جاین تماٗکہ دِ ہادِ ہادِوان پکہِ۔

ککوٗر :-[م۔مؤل: ککوٗر]۔جنگلی گنوتھیر یتھ چھٕنچ دار وُتھر چھِ آسان۔

ککُرا:-[م۔مؤل: ککر>س: کک کھٹہ]۔مرضی بَرخلاف۔زَبردستی گژھنچ حالتھ۔

ککُر۲:-[ن۔مؤل: ککر]۔۱۔بزوٹ،داغ۔ ۲۔ہٕتھۍ یارچ واریاہ تیغ یوسہٕ کُنہِ ڈٕرِس چیزس پیٹھ پینہٕ ستۍ موٗنڈ پھٕرِ آسہِ۔

ککر پینٛز :-تیز دارِ وٲلِس ہٕتھۍ یارس کُنہِ ستۍ زورٕ لاینہٕ کٔنۍ دنٛد ہی گژھنۍ۔

ککر تراوٕنۍ :-زاٗنتھ ماٗنتھ کانٛہہ تیز دار وول ہٕتھۍ یار موٗنڈ کرُن یا اتھ دارَن پھرٕنۍ۔

ککُر تراوُن :-۱۔ تیرس شناختہٕ خاطرٕ کنس ژھ دِنۍ۔ ۲۔مُستقل طور ماتحت بناوُن۔

ککُو :-[ن۔مؤل: ککو>س: کرٛکنہٕ]۔اَکھ جاناوار یُس زیادٕ وُڈتھ چھُنہٕ ہیکان مگر دَوِ چھُس سٮ۪ٹھاہ تیز۔

ککوپکُن :-(ہزلہٕ)۱۔ ورگرٕی گرٕی پکُن۔ ۲۔ وَر۔

ککو ترٛیش :-پیٛشا پیٛشا ترٛیش یٮ۪مہِ ستۍ یِڈ بَرنہٕ یِیہِ نہٕ۔

ککو رِنٛگ :-۱۔ ککو سِنٛز ہُج ہُج دَو۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) شنٛگر۔

ککو ماز :-(ورگہٕ) میٛوٹھ تہٕ پھٔبر، رتہِ کھوتہٕ رُت کھینہٕ چیز ضیافتھ۔

ککوہوگ :-اَکۍ ہے جایہِ واریاہن ککون ہُنٛد آسُن۔

ککو :-[م۔مؤل: ککو>س: کرٛکنا]۔۱۔ککو سِنٛز مادٕ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) شنٛگر۔

ککو کرٕنۍ :-۱۔ ژھال دِنۍ، خبر تھاونہٕ ورٲے ژٔلُن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) شنٛگر کرٕنۍ۔

ککو گژھنۍ :-(ورگہٕ) شنٛگر گژھنۍ کینٛہہ نہٕ اتھہِ یُن۔

ککوٗ پٔٹھر اوُن :-(ورگہٕ) ہَس پارنٛک اَکھ خاص طریقہٕ۔

ککِ نے چھے کنہِ شرٛپان :-یٮ۪مہِ ہے یتھ لایق بُتھ آسہِ سے چھُ ہیکان تہٕ ژاٗلتھ۔

ککِ ہنٛدی پوٗتی گژھنۍ :-سٮ۪ٹھاہ شُری اُستھ تہٕ پٔتن کانٛہہ نہٕ آسُن۔

ککوتری :-[م۔مؤل: ککوتری]۔اَکھ سبزی یوسہٕ مٕزٕ

-کنہٕ ژوکرٕ سان پھٕے آسان۔

کگرن:-مرضی برخلاف گرٕژھن۔

کل ا:-[م۔مؤل:کل<س:کل]۔ا۔دیان۔خیال۔خاہش۔
۲۔وزڈ، پژھ، یقین۔۳۔ینتھ، یراد۔م:

یُس ییتھ کل تہٕ قہر کرے
سُے تتھ شہر واتتھ پیٚو

کلَے کرِتہٕ گجی مَرِ۔کلے کرِنہٕ تہٕ مَرِ نہٕ زانہہ:-تہٕ ڈِ پتھ گو دیان تھوِتھ کام کرنہٕ ستی چھُ انسان ڈنجہِ روزان تہٕ ہرگاہ سُہ دیان تھوِنہٕ تَس چھُنہٕ کینہہ تہٕ پلہٕ پیوان تہٕ چھُ ژھوٚرُے روزان۔

کل آسنۍ:-کُنہِ کُن بوو آسنۍ، گنج زیادٕ فکرِ آسنۍ۔

کل تہٕ قہر کرٕنۍ:-کُنہِ کُن پۆرپاٹھۍ دیان دِیُن۔ پۆنتہٕ یراد سان کامہِ پتہٕ لگُن۔

کل راوٕنۍ:-مَنَس سوکھ نہٕ روزُن۔خیال نہٕ کُنہِ ڈنجہِ روزُن۔کُنہِ پٹھ ڈٹتھ نہٕ روٗزِتھ ہکُن، فِکرن اَژُن۔

کل کڈٕنۍ:-وَرغلاوُن، پھساوُن، بزم دِیُن۔

کل کرٕنۍ:-توجہ دِیُن، کُنہِ کُن مَن لاگُن، دِلچسپی ہاوٕنۍ، وزڈ کرٕنۍ۔

کلَ گنٛنۍ:-کانہہ خیال سَنُن۔گنج ژرخاہش گرٕژھنۍ۔

کج تھوُن:-پزارٕ دُن تھاوُن۔پزاران تھاوُن۔

کج ڈلُن:-دیان نہٕ روزُن، خیال نہٕ روزُن، کانٛسہِ پٹھ پژھ کرنہٕ کنہِ پانہٕ نہٕ کینہہ کرُن۔ پیٚے ہنٛدس بروسس پٹھ روزُن۔

کج روزُن:-ا۔کانٛسہِ ہنٛدِس خیالس روزُن۔ پزارٕ دُن روزُن، بروسہٕ روزُن۔۲۔پژھہِ روزُن، وومیز روزُن۔

کل ۲:-[م۔مؤل:کل<س:کلا]۔مشین، ینٛدر۔

کل ۳:-[م۔مؤل:کل<س:کلا]۔کلا، زۄنہِ ہُنٛد تیٚیُت حصہٕ یُس زۄنہِ پچھ یا گٹہٕ پچھ اکہِ اکہِ دوہہٕ بڈ یا گٹہٕ۔

کلنک:-[ن۔مؤل:کلنک<س:کلنکہ]۔وَٹہٕ۔بدنامی۔ داغ۔نشانہٕ۔

کلا ا:-[م۔مؤل:کلا]۔زۄنہِ ہُنٛد تیٚیُت حصہٕ یُس اکہِ دوہہٕ بڈ یا گٹہٕ۔

کلا ۲:-[م۔مؤل:کلا<س:کلا]۔فن ہونر۔کسب۔

کلاکار:-[ن۔مؤل:کلاکار<س:کلاکار]فن کار، ہونرمند، کانہہ کسب بیتر زانن وول۔

کلابوٗتہٕ:-[<ہ:کلابتو]۔سونہٕ یا روپٕک مُلمہٕ مایہٕ کٔرِتھ ریشم پَن۔

کلاس:-[<انگ:کلاس: Class]۔جماتھ۔درجہِ۔

کلام:-[ن۔مؤل:کلام<ع:کلام]۔ا۔کانٛسہِ ہُنٛد کینژہہ وۆنمُت یا لیٚوکھمُت، وَژُن، ہُر، شاعری بیتر۔۲۔کتھ۔کتھ باتھ۔

کلامِ پاک:-وُچھو"قرآنِ مجید"۔

کلامہٕ:-وُچھو"کلام"۔

کلامہِ بوزِ ناوُن:- بأتھ پرُن، شأیری بوزِ ناوِنۍ۔

کلامہِ کرُن:- کتھ باتھ کرِنۍ۔ اورِ چ یورِ چ کتھا ٹلنۍ۔

کلامُ اللہ:- ''قرآن مجید''

کلان:-[ف: کلان]۔ بوٚڈ ہیوٚ ہ۔ تھوٚد ہیوٚ۔ کھٔستھ ہیوٚ ہ۔

کلأرک:-[موٗل: کلأرک < أنگ : کلرک Clerk] مُنشی۔ دفترس اندر اکھ مُلأزِم۔

کلأرکی:- مُنشی گری۔ گُماشتہ گی۔

کلأس:-[م۔ موٗل: کلاس]۔ اکھ وٕسنی گاسہٕ یتھ ثمر ہندی پأٹھی رأٹھ چھےٚ پتھرِس پیٹھ اور یور پھہلان۔

کلہِ کال:- [ن۔ موٗل: کلہِ کال < س: کلہِ کالہ]۔ ا۔ ہیٚنٛد بن ہندِ لِکھہِ موٗجوٗب از کالک دور۔ سُہ دور یُس دواپر یوگہ پتہٕ آو۔ ۲۔ اَپزٕ ٹیگ وَق۔ بےٚ ایمأنی ہُنٛد سَمے۔

کلہِ یوگ:-[ن۔ موٗل: کلہِ یوگ < س: کلہِ یگہ]۔ وُچھو ''کلہِ کال''۔

کلہٕ:-[ن۔ موٗل: کل < ف: کلہ]۔ ا۔ شیرٕ۔ جسمک سُہ حِصہٕ یتھ مٔز کأڈی چھِ آسان۔ ۲۔ (کوٚہہٕ بیتر ٹیگ) تیوٗنت۔ تال۔ ۳۔ دِماغ، ذِہن۔ ۴۔ (پھہپھرک) موکھ۔ ۵۔ (ورگہ پأٹھی) زیٖٹھ (خاندانک بیتر)۔

کلس پیٹھ کنۍ ہیٚنۍ:- بل گُل نبأنۍ۔ گنہٕ رَنگہٕ مٔتہٕ نہٕ ہیوٚن۔

کلس کھسُن:- ا۔ اٗتس کھسُن۔ ہلُن۔ دزاوَن نۍ۔ ۲۔ مٔتہِ کھسُن۔ بارِ پیوٚن۔

کلس کھارُن:- مٔتہِ کھارُن۔ بارِ لدُن۔ ذِمہٕ دأری پٕشر اوِنۍ۔

کلس گنٛڈُن:- ا۔ کلس دلُن۔ ۲۔ (ہزلہٕ) ناراض گژھتھ کأنسہٕ تسُند چیز واپس ہُرتھ دِیُن۔ ۳۔ پٕشر اُوتھ ژھنُن۔

کلہِ پارُن:- (زنانہٕ ہُنٛد) کلس وأنگہٕ پارنہٕ۔ مَس شیرُن۔

کلہٕ پُش، کلپوش:-[ن۔ موٗل: کلہٕ پُش/کلپوش < ف: کلہ+ پوش]۔ اکہِ خاص قسمٕچ ٹوٗپی یوسہٕ زنانہٕ ترٛنگس تل دِوان چھےٚ۔

کلہٕ پُش کوٚر:- سو کپٕر ترِ یوسہٕ ترٛنگس تل بکارہ ینہٕ واجنہٕ ٹوپہٕ اندی اندی تالہٕ ژٕکس ہتی وأنٛتھ چھےٚ آسان۔ سو کپٕر ترِ یوسہٕ کلہٕ پُشکس تالہٕ ژٕکس ہتی وأنٛتھ چھےٚ آسان۔

کلہٕ پیٖٹھی:- ا۔ کلس وٕندِتھ خأراتھ۔ م: میانہٕ کلہٕ پیٖٹھی۔ ۲۔ سبٹھاہ تھوٚد یا سبٹھاہ تھدِ۔

کلہٕ پیٖٹھی آلہٕ وُن:- کلہٕ پیٖٹھی پھِر نأوِتھ خودایہ سُنٛدِ ہنأوی دِیُن، کلکہٕ خأراتہٕ گنہٕ دِیُن۔

کلہٕ پیٖٹھی گلہٕ وُن:- کلہٕ پیٖٹھی نژناوُن۔

کلہٕ پیٹھ وَسُن:- بورنکھ وَسُن۔ ذِمہٕ دأری موٚکلنۍ، مٔتہٕ دأری نہٕ روزِنۍ۔

کلہٕ پیٹھ والُن:- پأنس پیٹھ نہٕ أتی تھوٚون۔ پننہٕ رنکھِ پیٹھ والُن۔

کلہٕ پھٹنۍ:- ترٛٹھ لٔرأے گژھنۍ۔ یتھ مٔز واریاہ لوٗکھ

زخمی گژھن۔

کلہٕ پَھچ:- (ہٕزلہٕ) لوٗگٹ کلہٕ۔ کلہٕ ریٚشٕھ۔ عام کلو کھوتہٕ لوٗگت کلہٕ۔

کلہٕ تُلُن:-۱۔ وۄتلُن۔ نوٚن نیرُن۔۲۔ کلہٕ ژٔٹتھ ئُنِن۔

کلہٕ ٹُھس:- زٕبردس، کلہٕ دود، کلہٕ دَگ۔

کلہٕ ٹاپھ:- زور تھاپیر۔ ترٛٹھ تھاپیر یِیمہٕ سٍتؠ گیوٗ رِیہہٕ۔

کلہٕ ٹھاسُن:- کُلس دَب دِنۍ۔ کلہٕ چھاوُن۔

کلہٕ چھاوُن:-۱۔ کلہٕ کُنہٕ سٍتؠ ٹھاسُن، کلہٕ دأرۍ دأرۍ دیُن، کلس ٹاس ٹاس دیُن۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) کوتاہ تہٕ کرُن۔

کلہٕ دَگ:- وُچھِو "کلہٕ ٹُھس"

کلہٕ دارُن:- پرٛتھ کانٛہہ کتھ مانٛنۍ، پرٛتھ کانٛہہ کتھ تسلیم کرٕنۍ۔ سبٹھاہ نرمی ہُنٛد باس دیُن۔

کلہٕ دالہٕ:- چاروأیِس بیترِ سُنٛد نیال۔ بَستہٕ کلہٕ ہیر بیترِ۔

کلہٕ دِتھ بہُن:- ژٕک آسنہٕ کِنۍ کُنہٕ کامہِ (خاص کٔرِتھ ییٚہ ہنٛزِ) تۄ تام تٔتی بہُن یۄ تام أندواتنأوی ز۔

کلہٕ دود تُلُن:- (ورگہٕ) تنگ کرُن۔ جیرِ أنُن۔ پریشان کرُن۔

کلہٕ دیِن:-۱۔ پان قوربان کرُن۔ پان چھیٚپہٕ دیُن۔
۲۔ کلہٕ ٹھرِ تھوٚن، کلہٕ ڈکھراوُن۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) ژٕتیٚس کالس تٔتی روزُن یۄ تام ییٚہ ہنٛز کانٛہہ کأم موکلأوی ز۔

کلہٕ ڈولُن:-۱۔ (ل۔م) کانٛسہِ بروٚنٛہہ کُنہِ تٔتی کلہٕ

پیوٚن۔ ۲۔ (ورگہٕ) سبٹھاہ عأجزی یا زار پار۔

کلہٕ زیٖر:-۱۔ کلس نٔٹھ۔ کلس دِنٕن لارِنچ بہأرۍ کلس نٔٹنۍ۔
۲۔ نہٕ بوزُن۔ پرواے نہٕ کرُن۔

کلہٕ زیٖر لارٕنۍ:-۱۔ کلس نٔٹھ نٔٹھ آسنٕچ بہأرۍ لارٕنۍ۔ کلہٕ نٔٹنہٕ لگُن۔۲۔ نہٕ بوزنس گُن گژھن۔ پرٛتھ کُنہٕ نہون کل دِنۍ۔

کلہٕ ژٕٹُن:-۱۔ قتل کرُن، مارُن، مأرِتھ گژھن۔
۲۔ کُلس بیترِ تہرس ٹٕکھ دیُن۔

کلہٕ ژٕنڈ:-۱۔ سخ کلہٕ دود۔۲۔ دوڑٕ ٹاس۔

کلہٕ ژوٚٹ:-۱۔ بُہودُر۔ یُس نہٕ کھوژِ۔ نِڈر۔
۲۔ یُس اَتھِ روٚٹ کرنہٕ خأطرٕ ژٕوٚس تہٕ گنٛڈ۔

کلہٕ ژھٹھ:-۱۔ سخ کلہٕ دود۔ دادِ سٍتؠ کلہٕ گروٚژان آسنٕچ حالتھ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سوٚتر یوسہٕ ژٕرِتھ گژھِ۔ سوٚتر یِیمہٕ سٍتؠ وُچھان وُچھان کلہٕ دود کرِ۔۳۔ موٚتُن خوف، بلایہٕ نژان آسنہٕ۔

کلہٕ سَرسان:-۱۔ اَکھ بہأرۍ یِیمہٕ سٍتؠ کلس سخ دود کران چھُ تہٕ دأدکر لدِ چھُ کلہٕ اورتہٕ یور چھاوان۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سخ کیٚر۔

کلہٕ ہرٕن:- پھٕلی ہرٕن یوسہٕ کسابَس تھوان چھِ۔

کلہٕ کڈُن:- کلہٕ تُلُن۔

کلہٕ کاپہٕ سان:- سوٚرے۔ اَکھ پیٚوٚنت ترٛاونہٕ روٚس۔

کلہٕ کَنٛز:- وُکرٕمٕنۍ۔ تال بون گُن گٔرِتھ۔ زٔنگہٕ ہیوٚر کرُن گٔرِتھ۔

کلہٕ کنۍ کرٕ رِس گرُٹھن:-۱۔ کانٛہہ شخص تیُٹھ ایحسان مند یا فریفتہٕ سپدُن یتھ پرٛتھ کانٛہہ زُوس گندتھ تہٕ اَند واتناوُنس پیٹھ راضی گژھِ۔ ۲۔ (ہزلہٕ) نحقس پیٹھ تمبلُن۔ سخ خام طمع گرُٹھن۔ م: ہوچھ کولہٕ پھٹُن۔

کلہٕ کوپ:-مَس بیترٕ ہیتھ سوٗرے کلہٕ۔

کلہٕ کھاپر:-کاڈٕبن أندی أندی اَڈِ جَن ہُند صوٗندوٗق۔ کُلک پیٹھُمیم حصہٕ۔

کلہٕ کھاپرِ ووتھنہٕ:-سخ لڑاے گژھنۍ، ترٛٹھ لڑاے گژھنۍ یتھ منٛز کلہٕ تہٕ وارٕ وَتہٕ روزَن نہٕ۔

کلہٕ گنڈٕ ہیوٚن:-(گٕنجہِ یا لاوِس بیترٕ) تالہٕ گنڈ کرُن۔ چھاپنِس نِشہٕ گنڈ کرُن۔

کلہٕ گنڈُن ا:-کلہٕ وُلٕین۔

کلہٕ گنڈُن ۲:-کِتابہٕ بیترٕ گوڈٕ ووترٕ یا گوڈٕ کتھ لیکھٕنۍ۔

کلہٕ گھراوُن:-۱۔ سخ کوٗشش کرٕنۍ۔ کانٛہہ کام کرنس منٛز پنُن سوٗرے زور لاگُن۔ ۲۔ سخ زار پار کرُن۔

کلہٕ گلہٕ ناوُن:-کتھ نہٕ اَنٛتہٕ کھسٕنۍ۔ کتھ کن نہٕ تھوُن۔

کلہٕ ماز:-کلہٕ ہیرٕ ماز۔

کلہٕ نلہٕ:-کھورٕ شور۔ شیرٕ پیٹھٕ کھورَن تام۔

کلہٕ نہٕ ٹٕلتھ ہکُن:-۱۔ ترٛٹھ حالتھ گژھنۍ یتھ سوٗ سرائے کرنس سوٗمب سامرتھ روزِنہٕ۔ ۲۔ اِنکار نہٕ کٔرتھ ہکُن۔ واپس جواب نہٕ پھوٗرُن۔

کلہٕ نوٚٹ:-کلہٕ مازٕ کٔنٛن وول۔

کلہٕ والُن:-ژٕنڈٕ ژٕنڈٕ دِتھ گیوٗرانُن۔ سخ ووڈٕ ژٕنجہِ دِنہٕ۔ ووڈٕ ووڈٕ دِنۍ۔

کلہٕ وٕترٕ:-اکہِ قسمٕچ لیٹرٕ یمہٕ ستۍ لٔکر چیران چھِ۔ لٔکرٕ چیرنُک آرٕ۔

کلہٕ وُلٕین:-زنانہٕ ہُند کلس گنڈنُک سامانہٕ۔ پوٗژ، زوٗج کلہٕ پُش بیترٕ۔

کلہٕ ووٕتھنۍ:-سخ لڑاے گژھنۍ، ترٛٹھ لڑاے گژھنۍ یتھ منٛز لوٗکھ مَرن۔

کلہٕ ویوٚٹھ:-۱۔ سُہ یَس بوٚڈ کلہٕ آسہِ، کلہٕ دیگ کٔرتھ (انسان بیترٕ) ۔ ۲۔ اَکھ وٕسنۍ ڈُلوم پوش یُس دَوہس لگان چھُ۔

کلہٕ ہانٛژھ:-۱۔ مُرٕتخ ہانٛژھ، سُہ اِلزام یتھ موتُک سَزا آسہِ۔ ۲۔ خطرناکھ کام۔

کلہٕ ہیرٕ:-شیر، کلہٕ۔

کلہٕ ہیرٕ ٹٕکٕنۍ:-۱۔ کلہٕ ژٕٹُن۔ ۲۔ (ورگہ پاٹھی) سخ روب داب، تیُتھ روب داب یمہٕ ستۍ تٕھ اَژِ۔

کلہٕ ہیتھ للہٕ ناوُن:-سخ دودژالُن، دَگ ژالنۍ۔

کُلک خاراتھ:-تیٚہہٕ کلہٕ پیٹھی پھٕر ناوِتھ کانٛسہِ دِنہٕ یہٕ۔

کُلک خاراتھ دِین:-یہ چھِ تمہٕ پھٕرِ وَنان یٕیلہٕ کانٛسہِ کینٛہہ بلٕی پیٚیہ دِیُن۔

کلش:-[ن۔ موٗل: کلش > س: کلشہ]۔ مندرُک بیترٕ قُبہٕ، گنبد چالہٕ قُبہٕ۔

کلہٕ وال:-[ن۔ موٗل: کلہٕ وال < پرٛاکرت: کلّہ والہ

<س: کلَیَہ پالہَ]۔ شراب کڈن وول۔ شرا بک بابا پار کرَن وول۔ شراب چاوَن وول۔ ساقی۔

کلُش:۔[ن۔ مؤل: کلش <س: کلشہ]۔ ا۔ ہیٚنْدۍ ہنٛزَن مذہبی ریژَن یا پوٗزا یہِ منٛز تھوَنہٕ آمت پاں نوٗٹ یا گاگر بیتر۔ ۲۔ مندرُک قُبہٕ۔

کلُش واہرُن:۔ا۔ ہوَن کرن وِزِ سارٕی چیز (سامگری) بیتر لھونہٕ کونڈُس أندی أندی ترتیپہٕ سان تھوٕنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سَنگاٹھ ولہرُن۔ (کُنہٕ کامہٕ ہُنْد) سنٛز کرُن۔

کلشہِ پوو:۔لِہ ہنٛز کنہٕ ڈٕر بیترِ بیمہٕ پیٹھ کُن قُبہٕ یا پَش چھُ دِنہٕ یوان۔

کلشہِ نأر:۔لو گُٹ کلشہٕ نوٗٹ۔

کلشہِ وأر:۔سو وأر یتھ منٛز کلش بَرنہٕ یِیہ۔

کلُن:۔[ن۔ مؤل: کل <س: کلنہ]۔ کتھ پھِپھر گژھن، کتھ نہٕ پھوٕرنی، کتھ کران کران منٛز گنڈٕ ہی گژھنی۔

کلیجہٕ:۔[ن۔ مؤل: کٕلیج <س: کالیہَ]۔ ا۔ کرٛیٖہنہٕ ماز۔ جگر۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) جُرتھ، ہِنٛز۔ حوصلہٕ، جگرٕ۔

کلیجہِ اَسُن:۔جُرتھ آسُن، ہمتھ آسٕنی، ہِنٛز آسُن۔ جگر آسُن۔

کلیجہِ دَرُن:۔جُرتھ پأد گژھن، مُصیبتھ یا کانٛہہ ہأنتھ ناکھ بناوتھ برداش کرُن۔

کلیجہِ کھسُن:۔سخ ژاس ہٕنی۔ سخ ژاس ہٕنی تہٕ پھٕرٕ کھسُن۔

کلیش:۔[ن۔ مؤل: کلیش <س: کلیشہَ]۔ عذاب۔

کلیش کرُن:۔عذاب کرُن۔

م: گٔرِتھ وودَرس بہو کلیش۔ (للِ دید)۔

کلپَن:۔[م۔ مؤل: کلپَن <س: کلپنا]۔ خیال۔ تصورٕ۔

کلپانتھ:۔[ن۔ مؤل: کلپانت <س: کلپانتہ]۔ ا۔ کلپُک أند۔ یوگُک أند، قیامتھ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سخ گٹہٕ کار، طوٗفان۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) ترٛژھ حالتھ یتھ منٛز زِندٕ روزُن مُشکل آسہِ۔

کلپانتُس تام:۔قیامتُس تام۔ توٗ تام یوٗ تام دُنی یا قائیم چھُ۔

کلپانتہِ کال:۔ا۔ قیامتُک وَق۔ ۲۔ سخ مُصیبتُک تہٕ تپالہِ ہُنْد وَق۔

کلپانتھ کرُن:۔قیامتھ کرٕنی، طوٗفان سپدُن۔ ژھوٗٹ تہٕ گوٗٹ مِلہٕ وُن۔

کلپانتھ گژھُن:۔قیامتھ گژھٕنی۔ طوٗفان سپدُن۔

کلپانتھ ووتھُن:۔ترٛٹہٕ بُرُن ووتھُن، ہیے ووتھُن، سخ شورٕ تہٕ کرٛکہٕ ناد سپدُن۔

کلپہِ ورٛکھش:۔[ن۔ مؤل: کلپہٕ ورٛکھش <س: کلپہٕ ورٛکشہ]۔ سورگُک سُہ کُل یتھ یہِ منٛگی زِتہٕ پرٛأوی زِ۔

کلرُن:۔[ن۔ مؤل: کلرن]۔ ا۔ پیٚژ ڈوٗن یتھ پھمب ہیٚوٗ نیران چھُ۔ ۲۔ سُہ پھمب ہیٚوٗ یُس پیٚژ نیران چھُ تہٕ رَبہٕ ستی رلأوِتھ چھُ بور بیتر کرنس لگان۔

کلرن بور:۔لِبٕن بیتر لاگنہٕ آمُت کلرُن رلأوِتھ رَب، پیٚژِ ڈوٗنیُک پھمب رلأوِتھ لبہٕ بیترِ بأڈ رَنہٕ بأپتھ رَب۔

**کلنا:-** [م۔ مؤل: کلنا<س: کلنا]۔ سوٚنچ، فِکر، وِبٕرار۔

**کلنا روٚس:-** یَس نہٕ کامہِ ہنٛدِس پھَلَس کُن نظر آسہِ۔ بےلوٗٹ۔ بے غرض۔

**کلیٛان:-** [ن۔ مؤل: کلیان<س: کلیٛان]۔ ۱۔ رٕژر، رحمتھ، خٲر، شوب، اَتھہِ روٚٹ۔ ۲۔ گوٚنس منٛز اَکھ راگہٕ ہُند ناو۔

**کلیٛان سپدُن:-** رٕژر بنُن۔ خٲر بنُن، سہوُلتھ سپدٕنۍ، مُصیبتہٕ نِشہٕ بچُن۔

**کلیٛان کرُن:-** اَتھہِ روٚٹ کرُن۔ رٕژر کرُن۔ خٲر کرُن۔

**کلیٛان کٲری:-** خٲر کرن وول، رٕژر کرن وول، اَتھہِ روٚٹ کرن وول۔ م: شِوٕ چھُکھ کلیٛان کٲری۔

**کم ا:-** [مؤل: کم<ف: کم]۔ چھوٚن اَصلَس برابر نہٕ۔ وَزنہٕ کِنۍ نہٕ پوٗر۔

**کمے ہنا:-** رَژھا اَکھ، اَکھ ہِصا۔ تیٚوٗت نہٕ یِہ زَن آسُن گوٚژھہ۔

**کم وبیش:-** رَژھ کھنٛڈ۔ لگ بگ۔

**کم بخت:-** ۱۔ بدٕقسمتھ، بدنصیب۔ ۲۔ بدذاتھ، کمینہٕ۔

**کم بانہٕ:-** کم پایہٕ، یَس بٔڑ آسہِ نہٕ۔ یَس وبترَن بانہٕ آسہِ نہٕ۔

**کم پہن:-** برابر نہٕ، ہنا کم۔

**کم پایہٕ:-** ۱۔ وٕستھ، بےمول۔ ۲۔ غریب۔ مِسکین۔

**کم خرچ:-** یَس ژوٗز خرچ آسہِ نہٕ کرِ ہان۔ یُس فضوٗل خرچ آسہِ نہٕ۔

**کم خرچ بالانشین:-** ۱۔ کم پٲنسہٕ لگتھ تہٕ تھدِ پایک (آسُن)۔ ۲۔ کمہٕ پیٚٹھ عٲش کرن وول۔

**کم خور:-** یُس بوٚزی تھے کھیوان آسہِ۔ یَس کم کھینس عادتھ آسہِ۔

**کم ذاتھ:-** کمینہٕ، رٔزیل، وٕستھ زاتھ ہُند۔

**کم زبان:-** ۱۔ یُس زیاد کتھ آسہِ نہٕ کران۔ ژھوٚپ۔ یَس ژٕرِ کتھہِ کرنس عادتھ آسہِ نہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) شٔریف، یُس بگھ بگھ کران آسہِ نہٕ۔ یُس نہٕ وادواد کرِ۔

**کم زوٗ:-** یَس توژھ آسہِ نہٕ۔ اوژھ، کم زور۔

**کم زوٗری:-** نوتوٲنی، توژھ نہٕ آسنٕچ حالتھ۔ زور برابر نہٕ آسنٕے، ہیکتھ نہٕ آسنٕے۔

**کم زور:-** ۱۔ نہٕ ہیکن وول۔ یَس طاقتھ برابر آسہِ نہٕ، اوژھ، لبڑ۔ یِہ نہٕ دوٗر آسہِ۔

**کم زیاد:-** رَژھ کھنٛڈ۔ لگ بگ۔

**کم سپدُن:-** چھوٚنُن، برابر نہٕ یُن۔

**کم سِن:-** معٲصم، وٲنسہِ کِنۍ کم۔ زیاد بوٚڈ نہٕ لوکُٹ۔

**کم ظرف:-** ۱۔ یَس بٔڑ آسہِ نہٕ یَس حوصلہٕ آسہِ نہٕ۔ ۲۔ کمینہٕ۔ بدذاتھ۔

**کم عقل:-** موٚنٛڈ۔ گُنٛد ذِہن۔

**کم فہم:-** بےسمجھ۔ موٚنٛڈ۔ یَس کتھ ڈٕلی ڈٕلی فِکرِ ترٕ نہٕ۔

**کم قلیلا:-** رَژھا پوٚنٛشا۔

**کم کرُن:-** ۱۔ چھوٚنۍ روٗن۔ ۲۔ کٲٹُن، اَتھہِ چارُن۔ ۳۔ رٔتُن ہیوٚن (گاوہُند دود)۔ ۴۔ سخت کرُن،

ہمراوُن۔۵۔والُن، نرمی کرٕنؠ (مولَس بیترِ)۔

کم کم:-ژوٗرنہٕ۔ہوٗزی ہوٗزی۔

کم کاسہٕ:-وُچھو ''کم زیادٕ''۔

کم کھیوٗن غم نہٕ ہیوٗن:-تہٕ ذٕپتھ گوکانٛسہٕ ہُنٛد آویزٕ گرٛھنہٕ کھوتہٕ چھُ کمَس پیٹھے گُزارٕ کرُن جان۔

کم گرٛھن:-چھوٚنُن، پرٕ پیوٚن، کٔمی سپدٕنؠ۔

کم مایہ:-۱۔سُہ فصل بیترِ یُس پوٚھتُمُت آسہٕ نہٕ۔ ہاشہٕ گومُت فصل۔۲۔نادار، غٔریب، مسکین۔
۳۔یُس کیٚنہہ خبر آسہٕ نہٕ۔یُس گیان آسہٕ نہٕ۔

کم نصیب:-بدنصیب، یُس قسمتھ جان آسہٕ نہٕ۔ یُس دوہ پھیرتھ آسَن گامٕتؠ۔

کم ہمتھ:-بُزدِل، کھوٚژبٕڑ۔یُس جرٲتھ آسہٕ نہٕ۔

کم یاب:-یہ سہٕل سہٕل بنہٕ وُن آسہٕ نہٕ، یہ کم بوٚوان آسہٕ۔یہ نہٕ بازرس منٛز میلان آسہٕ۔

کم ۲:-[ن۔مؤل: کم<پرٛاکرت: کرٛ<س: کرٛمہ] کام، عمل، کماوُن۔

کمہٕ دژاو:-۱۔اہل، واقف۔یُس کامہٕ ہُنٛد تجربہٕ آسہٕ۔۲۔سُہ گُر بیترِ یُس سوار پکنس اہل آسہٕ بناونہٕ آمُت (داتہٕ چیز بیترِ)۔۴۔آزماونہٕ آمُت۔نارٕ پانہٕ دژامُت۔

کمہٕ ژٹ:-۱۔سُہ پلو شُکھر یُس کام کرنہٕ وِزِ ناٹی ییہ لاگنہٕ، خاص کرِتھ سُہ پلو یُس گٲری سوٚمبرنہٕ وِزِ بانٛز بیترِ ناٹی چھِ لاگان۔۲۔پھوٚلُمت پلو۔

کمہٕ کڑُن:-۱۔اہل کرُن۔خط کڑُن۔۲۔ٹوٚکہٕ وُن سوٚتراوُن (واتہٕ چیز بیترِ)۔

کمہٕ کھوٚر:-[ن۔مؤل: کمہٕ کھوٚر< کمہٕ+س: کشرا] سُہ خاص قسمُک کھوٚر یمہٕ ستؠ گٲری چھِ کڑنہٕ یوان۔

کمہٕ گور:-[ن۔مؤل: کمہٕ گار< کمہٕ+س: شرٛنگاٹہ] گاربن ہُنٛد اکھ قسم۔پوٚپ گور۔

کمہٕ نیرُن:-۱۔اہل گرٛھن۔خطٕ نیرُن۔کانٛہہ کام کرنُک تجربہٕ گرٛھن۔۲۔داتھ بیترِ ٹوٚکہٕ وَنہٕ یُن۔

کم ۳:-[<س: ک، شبٕد]۔کُس کُس ہیوٚہ۔

کمد ۱:-[م۔مؤل: کمد<ف: کمند]۔ژٔری پٕتٕری۔ شٕری مٕری۔

کمد ۲:-[م۔مؤل: کمد<س: کُمدَ]۔اکھ داں ذاتھ یتھ مُشک دار توٚمُل چھُ نیران۔

کمل ۱:-[ن۔مؤل: کمل<س: کملہ]۔پمپوش۔

کمل ۲:-[م۔مؤل: کمل<س: کمبٕد]۔اکھ خاص قسمُک منٛل وٕلن پلو۔اکہ قسمُک اوک توش ژادر۔

کمنٛد:-[ن۔مؤل: کمنٛد<ف: کمنٛد]۔مارٕٛیُک یُس وٕلہٕ منٛز کھسنہٕ باپتھ دارِتھ دِتھ گنٛنہٕ ستؠ بند ییہ کرنہٕ۔

کمنٛدِ گیسو:-زیٚٹھِ زیوٚٹھ کاوٕ دار مَس۔یتھ منٛز عاشق پھسَن۔زیوٚٹھ کانٛگنہٕ مَس۔م: کمان ابرو کمنٛدِ گیسو ژوپارٕ آیتؠ سُمتھ پرٕی رو۔(عارِض)

کمنٛد کرٕنؠ:-مارٕٛیُک کرُن۔گنٛڈُن۔رزِ بیترِ منٛز

وُٹھن یا بند کرُن۔

کمندلاٹنی:-ا۔ مارٹیگ لایُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) کانٛہہ پھساوُنہٕ باپتھ نشانہٕ کرُن۔

کمنڈل:-[ن۔مؤل: کمنڈل<س: کمنڈلہ]۔ گوسانٛین ہُند الہٕ گَڈر ٹیگ یا چوٗترٕ یشہٕ بانہٕ۔

کمال:-[ن۔مؤل: کمال<ع: کمال]۔ا۔تھزر۔حد، طے۔ ۲۔ووستأدِل۔کأرٕگری منٛز سخ تھزر،ہونرٕ ہُند حد۔

کمالہٕ وول:-ا۔ووت مُت،سُہ یُس سبٹھاہ رُوحأنی بجرٕ آسہٕ۔۲۔ہونرٕ مند،تھدٕ پایک کأسِب۔

کمال کرُن:-کامہٕ منٛز حد کرُن۔تہٕ کرُن ییمہٕ ہیٛو رنہٕ کینٛہہ آسہٕ۔

کمال ہاوُن:-(کنہٕ منٛز) طے کرُن۔حدٕ چ ہونرٕ مُندی ہاوٕنۍ۔

کمان:-[م۔مؤل: کمان <ف: کمان]۔ہأرٕنٛج۔ ہارپنڈ۔سُہ ہتھیار ییمہٕ ستۍ تیر چلاوان چھِ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) بُمہٕ۔اَبرو۔۳۔گرِ ہُند اکھ سامانہٕ یُس گُنٛزٕ ستۍ چارنہٕ یوان چھُ۔۴۔سو موٚٹ شیٖشترٕ وُدٕرہش یوسہٕ گاڈِن بیترٕ مَنٛڈ گاڈس ستۍ آسان چھےٚ۔۵۔ٹانگُک اکھ شُشترٕ سامانہٕ۔ ۶۔دوٗنۍ سُند اکھ سامانہٕ،یتھ ستۍ سُہ دوٗن گنٛڈان چھُ۔

کمانِ اَبرو:-کمان ہشہٕ بُمہٕ۔

کمان چارٕنۍ:-ا۔ہأرٕنٛجہٕ منٛزٕ تیر کڈنہٕ موٗجوٗب تتھ ورٛزسہٕ ہیوٚن۔

کماندار:-[ن۔مؤل: کماندار<ف: کمان + دار]۔ کمان چلاوَن وول،یُس کمان چلاوٕنۍ آسہٕ تگان۔

کمان کڈٕنۍ:-چلاونہٕ باپتھ کمان اتھس منٛز ہیٚنۍ۔

کمان لدٕنۍ:-ڈٔکہٕ چارُن۔ورٛزہٕ کھارٕنۍ۔

کمانڈر:- [ن۔مؤل: کمانڈر <انگ : کمانڈر۔ Commander]۔فوٗجۍ کمان کرن وول (افسر)۔

کمانگر:- [ن۔مؤل: کمانگر <ف: کمان+گر]۔سُہ کأرٕگر یُس کمأنۍ گران چھُ۔

کماوُن:-[ن۔مؤل: کماو<پرٛاکرت: کمہٕ<س: کرمہ] ا۔ہیٚچھُن۔۲۔ کمأے کرٕنۍ۔میحنتھ کرٕنۍ۔ زٔمین وأتھ بیترٕ آباد کرُن۔۳۔ لتہٕ وُن۔ استیمالس لایق کرُن۔۴۔زیٚنُن۔۵۔مأنٛتھر بیترٕ سارٕنۍ۔ریاض کرُن۔۶۔ کنہٕ پیٹھ مَن یا پان دُرراوُن۔

کماوَن گُل:-یُس زِی زیٚنُن کران آسہٕ،یُس پأنٛسہٕ بیترٕ زینان آسہٕ۔زِی گُل۔

کماوٕناوُن:-[<پرٛاکرت: کمہٕ<س: کرسہٕ]۔ ا۔زینہٕ ناوُن (پأنٛسہٕ بیترٕ)۔۲۔آباد کرناوُن (زٔمین بیترٕ)۔۳۔مَنٛڈ ناوُن (دالہٕ بیترٕ)۔

کموومُت:-ا۔یتھ کمأے گرِہٕ آسہٕ۔۲۔زیٛومُت۔ ۳۔یہٕ ہیٛو چھمُت آسہٕ۔۴۔یہٕ لتہٕ وَنہٕ بیترٕ آسہٕ آمُت۔

کمأے:-[م۔مؤل: کمأے <پرٛاکرت۔کمہٕ]۔

تنخاہ، زِی، تہٕ یہٕ کینژھا ہ زِ یُتھمت آسہِ۔

کمایہٕ دار:۔سُہ زٔمین یتھ جان میچُنتھ کرنہٕ آسہ آمِژ۔

کمایہٕ گُل:۔وِچھِو "کماوَن گُل"

کمایہٕ وول:۔سُہ بانٛہٕ یُس سرٕ بیترٕ منٛز گاڑی کڈان چھُ۔

کمائے کرٕنی:۔کماوُن۔زیُن۔

کمہٕ:۔[مؤل: کَم >پرٛاکرت: کمّہ]۔کارُک، یَس ہٕتی مطلب آسہِ۔یَس ہٕتی کانٛہہ سمبنٛد آسہِ۔

کمہٕ ہُنٛد:۔۱۔بکار۔۲۔پننہٕ کارُک۔پننہٕ پھکٕنیُک۔

کمہٕ ہُنٛد نہٕ آسُن:۔۱۔کُنہِ کارس لایق نہٕ آسُن۔ ۲۔وَتہٕ کتھہِ نہٕ آسُن۔

کِمس:۔[ن۔مؤل: کِمس >س: کنسہ]۔سُہ راز یمیٚ دیوکی تہٕ واسدیو قیٲدس گرِی ہتی تہٕ یُس کرشنہٕ سنٛدِ ذٕسی مارِ گو۔

کمِلی:۔[م۔مؤل: کمل >پرٛاکرت: کملّہ >س: کمبند] اکہِ خاص قسمُک مۄٹ اوٗگ تاش ژادر۔

کمہٕ وُن:۔[ن۔مؤل: کمو >پرٛاکرت: کمّہ >س: کرمہ]۱۔کمائے کرٕنی میچُنتھ کرٕنی۔۲۔ہیٚچھُن۔ حاصل کرُن۔۳۔لتہٕ وَن بیترٕ۔م: والہ کمہٕ وُن۔

کمبر، کمر:۔[ن۔مؤل: کمر >ف: کمر]۔۱۔پُشت، تھُر کنٛڈیٚک بۄنیم حِصہٕ۔۲۔گُرس بیترٕ سنٛدِ جسمُک سُہ حِصہٕ یتھ پیٹھ زین یا پلنہٕ بیترٕ لدان چھِ۔ ۳۔کونٛگ مَنٛزِیم حصہٕ۔۴۔فوجُک اَکھ طرف۔

فوجُک اَکھ پۄکھ۔

کمر بستہٕ:۔ہۄل گنٛڈتھ۔کینٛہہ کرنہٕ باپتھ تیار۔

کمر بنٛد:۔پٹہٕ چالہِ بلہِ گنٛڈن۔

کمر پھُٹُن:۔۱۔(ورگہٕ) ڈوکھ نہٕ روزُن۔ ۲۔تیُتھ گرٕوھن یہٕ ژٕلُن مشکل آسہِ۔

کمر ترٛاوُن:۔لِسر ترٛاوٕنی۔شوٗنگتھ روزُن۔

کمر کسُن:۔۱۔چیرٕ ہۄل گنٛڈن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) کینٛہہ کرنہٕ باپتھ تیار روزُن۔

کمرٕ کش:۔اکھ دوا یُس لوسن بیترٕ دوان چھِ۔

کمر گنٛڈُن:۔ہۄل گنٛڈن، کینٛہہ کرنہٕ باپتھ دوٗر یرادٕ کرُن، پۄختہٕ یرادٕ کرُن۔گُنہِ پتہٕ لگُن۔تیار سپدُن۔

کمبہِ اُنُن:۔گنٛڈس تل رٹُن۔وَتہٕ انُن۔سوی کرُن۔ پانٛس کُن پھرن۔

کمبہِ دار:۔سو تھَل یوسہٕ پۄٹھہ تہٕ زوٗدار آسہِ۔باگیہ دار تھَل۔

کمبرٕ کھ:۔[ن۔مؤل: کمبرک > اَنٛگ: کمبرک] اکہِ قسمُک مۄلُل کپُر۔

کمپ:۔[ن۔مؤل: کمپ > اَنٛگ: کمپ Camp] سو جاے یتھن عارضی رِہایشہِ باپتھ خیمہِ بیترٕ دِنہٕ یِن۔ڈیرٕ۔

کمپنی:۔[م۔مؤل: کمپنی > اَنٛگ: کمپنی-company] سُہ تجارتی ادارٕ بیترٕ یتھ وارِیاہ حِصہٕ آسن تہٕ اَکِس مخصوٗص ناوس تل آسہِ رَجسٹر کرنہٕ آمت۔

کمپوڈَر، کمپونڈر:۔[ن۔مؤل: کمپوڈر > اَنٛگ: کمپونڈر

Compounder]۔ا۔سُہ یُس ڈاکٹرٕ سنٛدِ نوسخہٕ مطأبق دوابنأوِتھ دِوان چھُ۔۲۔شفا خانٕک اکھ عوہدٕ دار۔

کمپھ:-[ن۔مؤل: کپ<س: کمپہَ]۔الہٕ الہٕ۔تھٔرتھٔرٕ، نٹھ نٹھ۔

کمپھ اَژُن:-الہٕ الہٕ وۄتھُن تھٔر ووٚتھنی۔

کمپھ گژھُن:-الہٕ الہٕ گژھن۔تھٔرٕ کرٕنی۔

کمراز:-[ن۔مؤل: کمراز<س: کرمہَ راجیہ]۔کٔشیرِ ہُنٛد شمأ لی علاقہٕ۔

کمرأزی:-کمرازُک روزُن وول۔کمرازُک بسکین۔

کمرٕ:-[ہ: کمرا<پُرتگالی: کمرا Camaral]۔کُٹھ۔ گبَ، مکانہٕ بیترٕ چ اکھ باگنے۔

کماسور:-[ن۔مؤل: کماسور<س: کنسائسُر]وُچھو"کمس"۔

کم کم:-[وُچھو"کم۲"]۔ا۔رنگ برنٛگی، بیۆن بیۆن زأژَن ہُنٛد یا ہِنٛدی۔۲۔واریاہ، بڈی بڈی،شُمارٕ روٚس،سبٹھاہ جان۔نا دِینٛی لایق۔

کمن کمن:-ا(ورگہٕ)بڈٕبن بڈٕبن،بہلہٕ پایہٕ لۆکن۔ ۲۔واریاہن سبٹھاہن۔مِ: کمن کمن جایَن۔

کملزٕ ناتھ:-[ن۔مؤل: کملزٕ ناتھ<س: کملجناتھ]۔ سُہ یُس پمپوشہٕ منٛزٕ پأدٕ گو، بزٕ ہماسُنٛد اَکھ ناو،شِوا، کیشِوا،جِنوا۔کملزٕ ناتھ نام دارَن یِہہ۔(لل دید)

کن ا:-[ن۔مؤل: کُن<پڑاکرت: کنٛنہَ<س: کرند]۔ ا۔سُہ تان یِیمہِ کِنی بوزان چھِ۔۲۔کنیٖک سُہ

کۆن یُس وٹنہٕ یِیہ۔۳۔لۆنہٕ یا شپیٖک کۆن۔۴۔(ورگہٕ پأٹھی)خاص پٔژن۔سُہ یُس پیٹھ پٔژھ آسہٕ۔۵۔اکھ۔دۆیومنٛزٕ اکھ۔مِ: دَچھِہ کُن،دۆرٕ کن۔

کنَس بتہٕ لدُن:-فکرِ نہٕ ترٛن، بےٚ سۆچ آسُن، زَن نہٕ خبرے آسِنی۔مِ: سُہ کیا کنَس چھا بتہٕ لدان فکرٕ ترٛبس نہٕ۔

کنَس تھپھ کرٕنی:-نہیب رٹُن، نستہٕ رِکھ کرٕنی، دُبارٕ نہٕ کرنُک یقین دیُن۔

کنَس کشُن:-گۆش دیُن۔کنہٕ ڈول دیُن۔ پرواے نہٕ کرُن۔

کنَس کن نہٕ خبر روزٕنی:-کأنٛسہٕ نہٕ پےٚ روزُن۔ ژھوپہٕ دوپہٕ گٔرتھ کینٛہہ کران یا أندری ژالُن۔

کنَن نۆژِ دِنہٕ:-کأنٛسہٕ ہنٛزٕ کتھ بُرباسنہٕ کِنی توبہٕ کرُن۔ کأنٛسہٕ ہِنٛدی ناسزا لۆزِتھ ترٛاہہ ترٛاہہ کرُن۔

کنہٕ بَل:-کن تیز آسٕنٛچ حالتھ۔سو حالتھ یتھ منٛز دۆرٕ چلوتہٕ کتھ تہٕ بۄزِتھ ہیکی زِ۔

کنہٕ پپر:-اکھ ہبڈٕ رذاتھ یتھ کنَس ہش شِکل چھےٚ آسان۔

کنہٕ پٹھ:-[ن۔مؤل: کنہٕ پَٹ<س: کرنہَ+ پٹہَ]۔ا۔سُہ دالہٕ ٹکرٕ یُس ٹانگہٕ گُرِس نظر بروٚنٛہہ کُن تھوٚنہٕ بأپتھ أچھن نبرِ مہٕ طرفہٕ لٲگتھ چھِ تھوان۔۲۔ٹوپہٕ ہُنٛد سُہ حِصہٕ یُس کنَس پیٹھ

تراوٕنہٕ یوان چھُ۔٣۔پَنہٕ وٕتھر چالہٕ کرینکھ لأگتھ
کنَن ہُنٛد اکھ زیور۔

کنہٕ پوٚ:-وُچھو "کنہٕ بَل"

کنہٕ پھِسرارے:-١۔سو آواز یوسہٕ کنَس تَل کتھ ونان ونان نیران چھےٚ۔٢۔لوتہٕ کتھ، کُنٛز کتھ۔

کنہٕ پھُٹ:-کنہٕ ژوٚٹ، یُس کن ترأوِتھ آسَن۔

کنہٕ پھیُٛژ:-کنہٕ گوگلس یوٚنہٕ کنیٚگ نرم حصہٕ۔

کنہٕ ترٛگر:-بُتھی پھیُٛر۔یُس کینٛہہ وبژان آسہِ نہٕ۔

کنہٕ تیٚج:-کنگ ہیٛرِیم حصہٕ یا پھیُٛژ۔

کنہٕ ڈٕر:-١۔کنَس وزٕنہٕ، کنَس لمُن۔٢۔(ورگہٕ پأٹھی) موموٗلی سَزا، بُتھ پھرُن۔

کنہٕ ڈٕرکرٕنۍ:-١۔کنَس لمُن۔٢۔کھتیٛر کرُن۔ موموٗلی سَزا دیُن۔

کنہٕ ڈٕریٚنۍ:-(ورگہٕ پأٹھی) موموٗلی سَزا دیُن۔ کِہۍ اَڈٕ زاڈ کرٕنۍ۔

کنہٕ ڈٕریٚنۍ مَگر کن نہٕ کڈُن:-تہٕ ڈٕ پتھ گوکھتیٛر کرُن مگر سخ اِذاہ نہٕ واتناوُن۔

کنہٕ دوٗر:-کنَن لاگنُک اَکھ زیوٗر۔

کنہٕ ڈوٗل:-کتھ بوٗزِتھ دیُتُمت گوٗش۔کتھ بوٗزِتھ تیُتھ باس دیُن زَن نہٕ بوٗزٕے۔

کنہٕ ڈوٗل دیُن:-بوٗزِتھ گوٗش دیُن۔توجہہ نہٕ دیُن۔ کأنٛسہِ ہنٛدِس بوٗزنۍ ہتس کُن دِیان نہٕ دیُن۔

کنہٕ زوٗج:-١۔سو زوٗج یا زٲلۍ دار پوٗژ یوسہٕ کنَن تام آسان چھےٚ۔٢۔(ورگہٕ پأٹھی) شکس، ہار (خاص کٔرِتھ بخشس منٛز)۔

کنہٕ ژوٚٹ:-١۔یُس کن ژوٚٹمت آسکھ۔یُس کن ژھیوٚنمت آسہِ۔٢۔(ورگہٕ پأٹھی) لڑایہِ گوٚر۔

کنہٕ سیٛوٗر:-[<س: کرنہٕ + شرا]۔کنہٕ کُنٛز پاکھ دوہ پٔنٛچ ہمأرۍ۔

کنہٕ کپس کڈٕنۍ:-پھِری پھِری کُنٛز کتھ پژژھنۍ۔ پژژھی پژژھی سأرے کتھ ہیٚنۍ۔تُتہٕ وأل کڈٕنۍ۔

کنہٕ کگر:-سُہ داغ یا نشانہٕ یُس گوٚر بیتر چارواین کنَس ترٛاوان چھُ۔

کنہٕ کُرٛژر:-سُہ یُس کتھ روزان آسہِ نہٕ۔سُہ یُس کتھ بوٗزی تھےٚ بیٚیِس وَننہِ گژھہٕ، کنہٕ لبڑ۔

کنہٕ کھوٗر کرٕنۍ:-تیٚرس بیتر بزٕ وٕٹھی مہِ زنٛگہِ کلس پیٹھ لٔدِتھ تھوَنہِ۔یتھ یہِ ژٔلتھ ہیکہِ نہٕ۔

کنہٕ کھوٚکھ:-سُہ تیٚوٗر یُس لُہس ہی کن آسن۔ ژھوٚٹھو گنو تیٚوٗر۔

کنہٕ گوٗگر:-سُہ زٕد ہیوٗ یُس کنَس چھُ آسان۔

کنہٕ گوگل:-وُچھو "کنہٕ گوٗگر"۔

کنہٕ لبڑ:-یُس لوٗکہ ہنٛزن کتھن غأبژن بیتر کن تھوٚتھ پژھ کرِ۔دوہیکہ ہنٛدِس ونس یکدم پژھ کرن وول۔

کنہٕ مَل:-سُہ کاژُرماد یُس کنَن منٛز آسان چھُ۔

کنہٕ مَنہٕ توٚ:-گندنہٕ یا سیتھ اَنہٕ باپتھ شُربن کنس

تَل ونان۔

کنہٕ موٚنٛڈ ۱:-[ن۔مؤل: کنہٕ موٚنٛڈ <س: کرنہَ+مَنٛڈلَہ] کنگُ سُہ حِصہٕ یُس مازس نِبر چھُ آسان۔

کنہٕ موٚنٛڈ ۲:-[مؤل: کنہٕ موٚنٛڈ <س: کرنہَ+مَنٛد]۔ سُہ یُس گوٚب پھِن بوزان آسہِ۔

کنہٕ وان:-[م۔مؤل: کنہٕ وان <س: کرنہَ+وانی]۔ ۱۔ کنَن گاٚمژ کتھ، سو کتھ یوسہٕ کنس منٛز پیمٛژ یا ترٛاونہٕ آسہِ آمژ۔ ۲۔غأَبی آواز۔ ۳۔شوَے۔

کنہٕ وان کرٕنۍ:-کنَن منٛز کتھ ترٛاوٕنۍ۔ ژینہٕ وَن دِنۍ۔

کنہٕ وان گرٛژھنۍ:-۱۔ کتھ بیترِ کنَن منٛز پیٚنۍ ژلان ژلان کتھ بوزٕنۍ۔ ۲۔غأَبی آواز کنَن پیٚنۍ۔

کنہٕ وٕڈٕ بیوٗل:- اکہِ داں زأَ ژہُنٛد ناو۔

کنہٕ وأَج:-کنَن لاگنُک اَرِ چالہِ اَکھ زیور۔

کنہٕ وٕوٚٹ:- اکہِ قسمُچ ٹوٗپۍ۔ یتھ تَل کن تہٕ چھِ روزان، کنٹوٗپہٕ۔ سو ٹوٗپۍ یوسہٕ کنَن بیترِ تہٕ وٕلمُت کرِ۔

کنہٕ وول:-ترِٛکی، ہیرٕ ٹلی۔

کنہٕ ہأَپِنۍ:- اَکھ زأَ ویٚل کیوٚم یُس ہَتہٕ ژٕنگی ہنٛزِ شکلہِ چھُ آسان۔

کنہٕ یار ۱:-[ن۔مؤل: کنہٕ یار <س: کرنہَ+یاتنا]۔ کنَن ہنٛز اَکھ بیماٗری۔ یمہِ ستۍ کنو منٛزٕ پاکھ چھُ نیران۔

کنہٕ یار ۲:-[ن۔مؤل: کنہٕ یار <س: کرنہَ+ف:یار] سُہ دوس یَس پتھ پرٛژھ آسہِ۔ یُس گرِ گرِ کنس تَل ننہٕ ییہِ۔ ہیرٕ بوج۔

کنہٕ یأَج:-موٚنٛڈ بیترِ ہیتھ سورُے کن۔ مؤلہٕ موٚنٛجہِ کن۔

کنُگ دوٗر:-۱۔ سبٹھاہ ٹوٗٹھ۔ ۲۔دِلبر۔ محبوب۔ ۳۔شوٗب۔

کن برٕنۍ:-چوٚغلی کھیٚنۍ۔ چُھ کھیٚنۍ۔ دوٚیمین متلق اورُک یور وَنُن۔

کن پُٹٕنۍ:-۱۔ کن مؤلہِ کڈٕنۍ۔ کن پرٛأَٹتھ اَنٕنۍ۔ ۲۔(ورگہٕ پأَٹھی) سَخ سَزا دِیُن۔ سَخ اَڈ زأَڈ کرٕنۍ۔ شَلکھ کرُن

کن پھِرٕنۍ:-سَخ دَگہٕ مار کرُن۔ مُقابلہٕ کرنس سوٚمب نہٕ ہکتھ تھوٕنۍ۔

کن پھیرٕنۍ:-سَخ تھکُن، ژھوکُن۔ مرنس تیارآسُن۔

کن ترٛاوٕنۍ:-(ورگہٕ) ہاَرِتھ ژَلُن۔ دَو تراوٕنۍ مُقابلہٕ نِش پتھ ہیوٚن۔

کن تھوَن:-کأَنسہِ ہُنٛد وٕنمُت وارِ پأَٹھی بوزُن۔ کتھ دیانہٕ سان بوزٕنۍ۔

کن تھاوُن:-وٕچھِو "کن تھوَن"

گَن دارُن:-کتھ وارِ پأَٹھی بوزٕنۍ۔ کأَنسہِ ہُنٛد وَنُن دیانہٕ سان بوزُن۔

کن دِین ۱:-۱۔ دیان دِتھ بوزُن۔ ۲۔ژوٗرِ پأَٹھی کتھ بوزنہٕ۔ یتھ پأَٹھی کتھ بوزنہٕ یتھ کتھ کرن والین پَے لگہِ نہٕ زِ یمہٕ کأَنہہ کیاہ چھُ بوزان۔

کن دِین ۲:-لِونہٕ ستۍ وُرِ ہیہٕ ٹاس دِتھ رَب پھاسوٕنۍ۔

کن رَٹٕنۍ:-توبہٕ کرُن۔ نِہیب رٹُن، نوزٕ دِنۍ۔

کن ژٕومبُن:-کنس شرٛۄ کرن، کنس ہرٛشہٕ ستۍ گوٚد کرُن۔

**کن کڈٕنۍ** :-۱۔کَنَن زورٕ دڑٕ سہٕ دیُن۔کَنَن زورٕ لمُن۔
۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ) کنہٕ ڈٕ ریٖنۍ۔لو کُٹ مو کُٹ سزا دیُن۔۳۔بکواس لاگُن۔ژٕرٕ کتھٕ کرنہٕ۔

**کن کھڑا کرٕنۍ** :-خبردار کرُن۔حبسہٕ پھرناوُن۔تاٸجبس کرُن۔

**کن کھڑا گژھنۍ** :-تاٸجبس گژھن۔کانٛہہ کتھ بوٗزِتھ زنہٕ ہُشار گژھن، یکدم حرکتس منٛزٕ یُن۔ژوک تل کتھ واتٕنۍ۔

**کن کھٔری گژھنۍ** :-کن کھڑا گژھنۍ (پٔنٕنہٕ مطلبچ سرِ چ، یا خبردار کرٕنۍ کتھ بوٗزِتھ)۔

**کن کھینٛۍ** :-کتھٕ بکواس لاگُن۔پرپرس نہٕ پچھے تھٕٹٕنۍ۔

**کن مانٛجنۍ** :-۱۔زنانہٕ ہٕنٛدی زیور لاگنہٕ بروٗنٛہہ کن صاف کرٕنۍ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ) کُنہٕ چیزٕ کہ کوٗن صاف کرٕنۍ یا چمکاوٕنۍ۔

**کن واٸنۍ** :-چاروای۔ن ہُنٛد کَنَن الہٕ ڈٔلہٕ کرُن۔ چاروایَن ہنٛز کَنَن حرکتھ کرٕنۍ۔یہٕ چھےٚ چاروأے ہنٛدِ تیٖز نِشأنی مانٛنہٕ یوان۔

**کن وُٹھتھ ژلُن** :-۱۔ڈٕچھن کھوٗر نظر دِنہٕ ورأے دوتٕراوٕنۍ۔ اورٕ یور ڈٕچھنہٕ ورأے دورُن۔
۲۔ناکام گوٚھتھ ژلُن۔

**کٕنۍ اَچھر** :-تَم احرف یِم صِرف کنوٚ کنۍ وَنٛدی آسَن اماپوٚز یِتہٕ نظرن آسَن نہٕ وَنہٕ۔

**کٕنۍ اَچھرو کڈُن** :-اَنکہٕ وَنہٕ سٕتۍ کڈُن۔

**کٕنۍ پَتٕۍ** :-یَتھ نہٕ وارٕ کن دِزِ یا تھوی زِ۔

**کٕنۍ پَتٕۍ کرُن** :-عمل نہٕ کرٕنۍ۔بوٗزِتھ اُرتھ نہٕ وَنس پیٹھ عمل کرٕنۍ۔بوٗزِتھ گوٚش دیُن۔

**کٕنۍ پَتٕۍ گژھُن** :-بوٗزِتھ اُرتھ کتھ پیٹھ عمل نہٕ کرٕنۍ، بوٗزِتھ نہٕ کتھ فکرٕ ترٕنۍ۔بوٗزِتھ تَن نہٕ دِنۍ۔

**کٕنۍ پھِش** :-کنس منٛزٕ (لوتہٕ پاٹھۍ) کتھ ییٚنٛز یا گژھنۍ۔ژوے۔

**کٕنۍ پھِش کرُن** :-۱۔لوتہٕ پاٹھۍ کتھ واتناوٕنۍ۔ کتھ تتھٕ پاٹھۍ وَنٕنۍ یِتھ بوزن واٸلس ورأے بیٚیہٕ کانٛہہ بوزِنہٕ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھۍ) ٹُلُن۔ اُکساوُن۔زیر دِنۍ۔

**کٕنۍ پھِش گژھُن** :-(لوتہٕ پاٹھۍ) کنن کتھ واتٕنۍ۔

**کٕنۍ تَلی اَنُن** :-شٕخچھ بوزٕناونہٕ باپتھ کانٛہہ شٕخص پانس بل گُل نزدیکھ اَنُن یِتھ دوٚیِم کانٛہہ یہٕ بوزِنہٕ۔ لوٚت پاٹھۍ کتھ وَنٕنۍ۔

**کٕنۍ تَلی نٔیُن** :-لوٚت پاٹھۍ رازٕ چ کتھ کانٛسہٕ وَنٕنۍ۔ لوٚت پاٹھۍ کانٛسہٕ کانٛہہ کتھ وَنٕنۍ۔

**کٕنۍ تَلی وَنُن** :-ژوٗرِ پاٹھۍ کتھ وَنٕنۍ، دوٚیِمبن خبر کرنہٕ ورأے کینٛہہ باوُن۔

**کٕنۍ تَلی یُن** :-ژوٗرِ پاٹھۍ اَپزٕ کتھ وَنٕنۍ، دوٚیِمبن خبر کرنہٕ ورأے کینٛہہ باوُن۔

**کٕنۍ تُج** :-سو تُج یوسہٕ کنٕس مَل بیترٕ کڈنہٕ خاطرٕ استیمال سپدان چھےٚ۔

کٔنۍ سپر:-چار وأیِس پھوکھ والنہٕ خاطرٕ کنِس دیُٹمُت چاکھ۔

کٔنۍ شیٚچھ:-سو گتھ وَنۍ تیٚچھ وَنَن وأٹِس تہٕ بوزن وأٹِس ورأے بیٚیہٕ کأنسہِ خبر لگہِ نہٕ۔ کنِس تل وَننہٕ آمٕژ کأنہہ کتھ۔ سرٕ کتھ۔

کٔنۍ کتھ:-سو کتھ یوسہٕ کنِس تل وَننہٕ ییہِ۔ سو گتھ یوسہٕ سارِنے تھٕی وَنۍ لایق آسہِ نہٕ۔

کن ۲:-[مؤل: کن <ف: کن]۔ کھنَن وول۔ نقش گیر۔ مِ: موہرکن۔

کنستر:-[ن۔مؤل: کنستر <اَنگ: کنسٹر: Canister] پیپہٕ، ٹین۔

کنسٹیل:- [مؤل: کنسٹیل <اَنگ : کنس ٹیبل Constable]۔ پُلسہٕ وول۔

کنالہٕ:-[ن۔مؤل: کنال <پنجابی: کنال] یہ مَرلہٕ زٔمین۔

کناویز:-[ن۔مؤل: کناویز]۔ اَکھ کپرٕ قٕسم یتھ رٕیشم لَرِچھےٚ آسان۔

کنہِ ۱:-[<س: کرنے]۔ ا۔ کأنسہِ ہنٛدِ بَدَل کأنسہِ ہنٛدِ طرفہٕ۔ مِ: تِہنٛدِ کنہِ آو تٔہنٛد بوے۔ ۲۔ کُنہِ بدل۔ مِ: ہُمہِ ییمہِ کنہِ۔ ۳۔ وِزِ، وقتہٕ۔ مِ: پھٔلیہ کنہِ۔

کنہِ ۲:-[شُس کاژرٕ رَنگہٕ (چاروو ے)۔

کنز:-[م۔مؤل: کنز]۔ لوٗٹ کنہِ ڈیر۔ لوٚچن کنَن ہُنٛد اَمبر۔

کنمہٕ:-[ن۔مؤل: کنم]۔ نٔیگ ڈُلوم کنہِ پھوٚل، لأرِم۔

کنہٕ نول:-[ن۔مؤل: کنہٕ نال]۔ سُہ رَزٕ کٕو رِیُس ہأنز ڈوٗنگِس بیترٕ لمن وِزِنٲلی ترٲوان چھُ۔

کنہٕ ہال:-[ن۔مؤل: کنہٕ ہال< کنہِ +س: شالی]۔ اَکھ داں قٕسم یتھ چٕٹہٕ سفید تومُل چھُ آسان۔

کنہٕ ۱:-[ن۔مؤل: کن <س: کنہ]۔ تومُلِس منٛز مُنہٕ نَے رٕو دمُت داں پھوٚل۔

کنہٕ بتہٕ:-ژار نَے تومُلِس روٗزمُت بَتہٕ۔

کنہٕ بتہٕ کھٲوُن:-(ورگہٕ) جیل تھوٗن۔

کنہٕ پھٔلِکی پٲٹھی ژٕتھ کڈُن:-تہٕ ڈٕیتھ گو یکدم وَنہٕ کڈُن۔ یکدم وُچھَن زِ کتھ جایہ چھُ ژٕہس منٛز پچھانُن۔

کنہٕ پھوٚل:-[ن۔مؤل: کنہٕ پھل <س: کنہِ+پھلہ] تومُلِس منٛز مُنہٕ نَے رٕو دمُت داں پھَل۔

کنہٕ ڈٲلنۍ:-شُپِس منٛز ترٲوِتھ تومُل اَکہِ خاص طٔریقہٕ گولہٕ وُن۔ یتھ کنہٕ بروٗنہہ گُن ییٚن۔

کنہٕ ژارٕنۍ:-ا۔ تومُل صاف کرُن۔ ۲۔ تومُلہٕ منٛزٕ کنہٕ پھٔلۍ الگ کڈٕنۍ۔ کوٚدٕ کڈُنہٕ۔

کنہٕ کھوٚر:-سو کھوٚر۔ یوسہٕ ژار نے تُرِس ییہِ بناوِنہٕ آسہِ آمٕژ۔

کنہٕ ہیٚنۍ:-وُچھِو ''کنہٕ ڈٲلنۍ''۔

کنہٕ ۲:-[ن۔مؤل: کن <پرٲکرت۔ کنہ <س: آرنی یَس کن ژوٚٹمُت یا ژھیوٚٹمُت آسہِ یَس کن ہوی یا برابر آسَن نہٕ۔

کنہٕ۳:۔[>س: کہ۔شبہ] کرٕ پٕٹھ، کمہٕ وقتہٕ پٕٹھ۔

کنہٕ پٕٹھ:۔ تَنہٕ کوتاہ وَقت گو، کرٕ پٕٹھ۔

کنہٕ شَشتُن:۔ کے حال، سبٕٹھاہ کالہٕ پٕٹھ۔

کنہٕ۴:۔ پأٹھی۔م۔کیتھ کنہٕ۔

کنہٕ۵:۔[پرٛاکرت: کنّہ]۔۱۔کوٗن۔اند۔۲۔کوٗنہٕ کَنی، أندی (سرٕ لَنکس أندر)۔

کنہٕ پھوٗل:۔[>پرٛاکرت: کنن]۔سُہ پلو۔یُس اندوَ تلہٕ رٕنیومُت آسہِ۔یتھ پلوس أندرٕ نےٕ تۍ آسن۔

کنہٕ ڈٕر:۔ پشس تل مکانٛچ سو جاے یتیٖن کوٗن کھوٗتمُت آسہِ۔پشس تل سو جاے یتیٖن شیرٕ لب تہٕ بروٗٹھم پاپتِم لب رَلان آسہِ۔

کنہٕ نیرُن:۔ سرٕ لنکس بیترٕ أندرٕ سرٕ أندی یا کوٗنہٕ کٕنی گرٛھن۔

کنہٕ تُل:۔[ن۔موٗل: کنہٕ تل >س: کانڈ+توٗلہٕ]۔ہیچہٕ ہُنٛد پوٗن ہیچِ پوٗن یَیمہٕ ستۍ پَچہٕ بیترٕ بند ہین کرنہٕ۔

کنٛز:۔[م۔موٗل: کنز۔کن لفظُک ژھوٹر >س: کرنہ] ۱۔ژالنہٕ چالہٕ بناونہٕ آمُت گاسہٕ رزٕ ہُنٛد سُہ چیز یُس تلہٕ کاژِ منٛز بند چھُ آسان تہٕ یتھ منٛز یندرٕ تُل پھساونہٕ چھُ یوان۔۲۔سُہ تازٕ ہر یُس داں مونجہ دانہِ لونہٕ پتہٕ نیرِ۔۳۔سورَز یوسہٕ پلٕہأری کھورس اوش چارنہٕ باپتھ لٔدن تارنہٕ چھےٚ یوان۔

کنہٕ گچھ:۔[ن۔موٗل: کنہٕ۔گچھ]۔ہبٕڈرَن ہُنٛد اَکھ قسم۔

کنہٕ گچھراٹھ:۔۱۔أکی ہیے جایہِ پھٕٹتھ آمتۍ وار یاہ کنہٕ گچھ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) بوٚڈ قبیلہٕ۔زیٹھہِ زیٛوٗٹھ خاندان۔

کننکھ:۔[م۔موٗل: >س: کنیکا]۔أنٛہرِش کوٗر۔

کنہٕ کہوٚور (کنکہٕ وٚور):۔سُہ لوکُٹ روٗتھ یُس پَن ڈِسں پٕٹھ پوٗزلیہ باپتھ بناونہٕ چھُ یوان۔

کنٛیا:۔[م۔موٗل: کنیا >س: کنیا]۔کوٗر۔أنٛہرِش کوٗر۔

کنہٕ دان:۔[موٗل: کنہٕ دان >س: کنیا دانہ]۔کوٗر نیٚتری دِنۍ لگنس پٕٹھ بٕٹن ہُنٛد اَکھ رسم۔

کنہٕ دود:۔ سُہ پان پھیوٗریُس أنٛہرس کُٹس یا کچہِ بَبہِ چیر دِنہٕ ستۍ نیرِ۔

کنہٕ شرٛان:۔ کھاندرس بیترٕ پٕٹھ کورِ شران کرُن، کھاندرس پٕٹھ مہرِینہِ بیترٕ تَن ناوُنۍ (یہِ چھُ بٕٹن ہُنٛد اَکھ خاص رٕسم)۔

کنہِ کوٗٹ:۔ سُہ جوان مرٕدیس وُنہِ نیتھر کوٚرمُت آسہِ نہٕ۔أنہوٗرلٔڑکہٕ۔

کنٛٹیل:۔[ن۔موٗل: کنٹیل]۔سوزٕ مین۔یتھ میٛرہٕ ستۍ روٗڈٕ پھٕلۍ تہٕ کنہٕ آسن۔

کنٛٹین:۔[ن۔موٗل: کنن] اَکھ پرأنۍ خوش بو دار داں ذاتھ۔

کنٛیوٗ:۔[ن۔موٗل: کنو]۔۱۔کنہِ ہُنٛد بنیومُت۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سُہ یَس اَثر گژھہِ نہٕ۔یَس اِحساس آسہِ نہٕ۔

کنٹین:۔[ن۔موٗل: کنٹین >انگ: کنٹین Canteen]

ا۔ کُنہِ چھاونہِ منز سہ واں ییتہِ ضۆرۆرتکۍ چیز رعایتی
نرخن پیٹھ بٮ۪ٹن۔ ۲۔ فیکٹری یا دفترس اندر چایہِ
دان ہیتر۔

کنٹرول:- [ن۔ مؤل: کنٹرول <اَنگ : کنٹرول
Control]۔ قوبو، پابندی، روٹ، ٹھۆر۔

کنٹھ:- [ن۔ مؤل: کنٹھ <س: کنٹھ]۔ ۂٹہ گنڈ ٹیک ترٛوٹ۔

کنٛجر:- [ن۔ مؤل: کنٛجر <مُ:ہ: کنجر۔ یَس: ''کنٛجنی'' لفظُک
(کاشُر نَر]۔ گان یُس گانہِ وان چلاوان آسہِ۔
زنانن درٛالہِ کرن وول۔

کنٛجر تون:- تیٚتھ بایار یاؤطیر یَس کنجر کران چھُ۔

کنٛجرٕ گی:- وٕچھو ''کنٛجر تون''۔

کنٛجر وان:- گانہِ وان۔

کنٛجریٚنی:- [م۔ مؤل: کنٛجریٚنی <س: گنٛجنی ۔م۔ہ: کنجری]
گانٛی، گانہِ سٕنز زنانہِ، بدماش زَنانہِ۔

کنٛد:- [ن۔ مؤل: کنٛدٕ <س: کند]۔ ا۔ زٔمینس تل کُنہِ
کُلیُک گوگُل یُس کھبنس لگہِ۔ ۲۔ ناڈَیَن ہُنٛد مؤل۔

کنٛدٕ مؤل:- زٔمینس تل کھبنس لایق مۆدُر گوگُل
ہیٚوٕ یا مؤل ہیتر۔ زٔمین کند۔

کنٛدٕ:- [<س: کتھنٛچنہ]۔ کینٛہہ۔

کنڈکٹر:- [ن۔ مؤل: کنڈکٹر <انگ : کنڈکٹر
Conductor]۔ یُس گاڈٕ بن منز سفر کرن والین
نِشہِ پانٛسہِ سۆمبراوان تہٕ تِمن ٹِکٕٹہِ دوان چھُ۔

کنڑٕ:- [ن۔ مؤل: کنڑ <س: کنڈ]۔ بڈ ترٕٛ کر، سو
ترٕٛ کر۔ یتھ پیٹھ گوٚبٕ چیز تولنہِ چھِ یِوان۔

کنڑٕ پیٚوٕن:- آیستان سٕنٛن۔ تال وٚسُن۔

کنٛز:- [ن۔ مؤل: کنٛز]۔ سُہ ہٕچو یا کٔنیو بوڈ وہ کھُل۔ یتھ
منز دانہِ ہیترٕ مُنان چھِ۔

کنٛز پھلہِ وال:- تِم دانہِ یِم دانہِ مُنان مُنان
کنٛزٕ منز پیٚن۔

کنٛز کوٚم:- ؤٕنز کوٚم۔ توٚملہِ دَلُک کوٚم یُس اوٚٹ
ہیٚوٕ چھُ آسان۔

کنٛز کوٗگُر:- ا۔ سُہ کوگُر یُس کنٛزس تل پھٕلی آسہِ
ٹلان۔ ۲۔ (ورگہِ پاٹھی)۔ سُہ شُر یُس کھبنہِ
چیزن تھپہِ آسہِ دِوان۔

کنٛز ہۆن:- لوٚکُن ہُنٛد ژھیوٚٹ کھبنہِ وول۔ دَرٕبدرُک
یَس کُنہِ جایہِ کانٛہہ کھبنہِ چیز اتھ تیٚچ بزاد آسہِ۔

کنٛز اَژُن:- بلایہِ منز ہیٚنہِ یُن۔ کھر بن منز ژلنہِ یُن۔

کنٛزٕ تَل بوحران:- (ہٕزلہِ) سو کتاب یتھ ؤچھتھے خوف یِیہِ۔

کنٛز ناوُن:- کُنہِ نِشہِ کرُن، اتھِ چھلناوُن، کانٛہہ چیز
ہیتر اَتھس منز پینہِ نہٕ دیُن۔

کنٛزنی:- (کُنہِ نِشہِ) اتھِ چھلُن۔ م: تِمٕ کُنٛز نوکری نِشہِ۔

کنٛزُر:- [ن۔ مؤل: کنزر]۔ سولہِ ؤتھرن ہی ؤتھر کرِتھ
اَکھ جنگلی گاسہِ۔

کنٛزُل:- [ن۔ مؤل: کنٛزُل]۔ اَکھ سَم قَدٕ ؤسنی گُل تیٚچ
لُکر بونہِ لانٛز ہیتر گرٛنس لگان چھے۔

کنڑُل:- [ن۔ مؤل: کنڑ]۔ ا۔ بُرُن (یُتھ پاٹھی تِپر ہیترٕ

نارس ہأوِتھ)۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) مُہتھ تڑاوان۔

کٔنزن پھٔکھ:- سُہ وٚگراوُن یُس پچھن بیترٕ کٔنزن وِزِ یوان چھُ۔ ییرٕک یاتیرٕ بن بیترٕ ہُند دٔزُن مُشکھ۔

کٔنزِتھ کھیٖنی:- شرٕم نہٕ روٗزٕنۍ۔ کانٛسہِ ہُند لحاظہٕ نہٕ روزُن۔ خجل گرِتھ تہٕ نہٕ خجل گژھن۔

کنکال:-[ن۔مؤل: کنکاس < س: کنکالہ]۔ کنکال۔ بچھِ ڈُن۔ غریب یُس کانٛہہ گُذارٕ آسہِ نہٕ۔

کنکپیٖھ:-[ن۔مؤل: کنکپ < س: کرٚپنہٕ]۔ کمپنہٕ، کم ذاتھ۔

کنگ:-[ن۔مؤل: کنگ < س: کاگنہٕ]۔ ۱۔ کھوڈس مٔنز زولُمت اُلاو، نار ڈیرٕ۔ ۲۔ مٔنَن۔ خاص قسمُک تھپہٕ دار کترٕ یانہٕ یتھ مٔنز نار تھاوان چھِ۔

کنگہٕ مج:- رٚجہٕ مج۔ زمیٖندارٕ ہُند اکھ سامانہٕ ییمہٕ ستۍ اُبۍ زمیٖنس آب لٔدِتھ دَتہٕ دووران چھِ۔

کنگ زالُن:- اُلاو زالُن۔

کنگر:- وُچھو "کانٛگہٕ گور"۔

کنگن:-[ن۔مؤل: کنگن < س: کنکنہٕ]۔ کانٛگنۍ۔ اکہٕ قسمُک کوٚریُس نرِ بن لاگان چھِ۔

کنگن ٹٔنگۍ:-(ورگہٕ) کھوٚژ ناوُن۔ تنگ کرُن۔

کنگٕنۍ، کنگٕنِۍ:-[م۔مؤل: کنگنۍ < س: کنکتہ]۔ ۱۔ بوٚڈ کنگو یُس یُتھ پأٹھۍ زنانہٕ مستس دِوان چھےٚ۔ ۲۔ اکھ بییہٕ دار زوٗرِ چالہِ سامانہٕ یتھ تالہِ طرفہٕ برٛۍ چھِ آسان تہٕ یتھ پیٹھ ییر وبڑھناوان چھِ۔ ۳۔ وودِرۍ وانگ برٛۍ دارا کھ سامانہٕ۔ ۴۔ زول ژھونڈ۔ م: تاسس کنگٕنۍ دِنۍ۔

کنگٕنۍ دِنۍ:- ۱۔ مستس زٔٹھ کڈٕنۍ، مس ٹھیکھ کرُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) سوٗرے چھأنِتھ تڑاوان۔ سأرۍ ہے زول دیُن۔ پیٹھہٕ پیٹھہٕ وُچھن۔ بیوٚن بیوٚن کرُن۔

کنگٕنۍ کرٕنۍ:- ۱۔ مس شیرُن، مس سنٛبھألِتھ تھوُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) فأش کرُن۔

کنگٕنۍ وألنۍ:- کنکنہٕ ستۍ مستس زٔٹھ کڈٕنۍ مس پارُن۔

کنکنہِ پھُٹ:- کنکنہٕ کھٔنڈ۔

کنکنہ کڈُن:- ییر بیترٕ کنکنہٕ پیٹھ وبڑھناوُن۔

کنکنہِ گوٚر:- سُہ گاٚرۍ گرٛ یُس کنکنہٕ بناوان چھُ۔ کنکنہِ چھان۔

کنگال:-[ن۔مول: کنگال < س: کنگالہ]۔ نٕنۍ دیوٚر۔ اتھِ چھوٚن۔ یُس کانٛہہ گُذارٕ آسہِ نہٕ۔

کنگال بٔنک:- سُہ بٔنک یا سو جاے یتھ اندر نہٕ کینٛہہ آسہِ، ییہ چھُ کانٛہہ ہزلہٕ کِنۍ تیٖلہِ وَنان ییٖلہِ پانس اسبس نہٕ تہٕ بیاکھ اسبس منگان۔

کنگال کرُن:- کانٛہہ گُذارٕ نہٕ تھوُن، سوٗرے مُہتھ نیُن۔

کنگال گژھن:- نٕنۍ دیوٚر گژھبن، کانٛہہ گُزارٕ نہٕ روزُن۔ اتھِ تنگ گژھن۔

کنگوا:-[ن۔مؤل: کنگو < س: کنگتہ۔ م: مراٹھی: کنگوا] پھیکِہ کہ پٹٕمہ پانٛچ اُڈِج۔

کنگوٕ ژٕر :- کنگوچہ اُڈۍ جہ ہُند اَند۔

کنگوُ ٢: -[ن۔مؤل: کنگو < س: کنگتہ]۔ اکھ بُرۍ دار ساماںہٕ یُس مَس پأرنس یا ژٕٹھ کڈنس لگان چھُ۔

کنگودیٖن :- کنگوٕ ستۍ مَس شیر تھٕوُن۔ کنگوٕ ستۍ مَستس ژٕٹھ کڈِتھ سُم کڈٕنۍ۔

کنگوکرُن :- کنگوٕ ستۍ مَس شیرُن سَنبالُن۔

کنگرو:-[ن۔مؤل: کنگرو < اَنگ: کنگرو] آسٹریلیا ہُک اَکھ پۆش یُس بچہٕ پکناونہٕ باپتھ یڈٕ پاسہٕ ٹھیلہٕ ہیوٗ آسان چھُ۔

گنمہٕ:-[ن۔مؤل: گُنم < س۔ کنہٕ]۔ نٮ۪ٛک تہٕ اوژٕھ انسان۔

کنوینر :-[مؤل: کنوینر < اَنگ: کنوینر Convener] کُنہِ کمیٹی ہُند ممبر یُس سَمنہِ باپتھ تأریخ بیترِ مقرر تہٕ چِٹھ بیترِ کڈان چھُ۔

کنوینشن :- [ن۔مؤل: کنوینشن < اَنگ کنونشن Convention]۔ کُنہِ اہم مامَلس دَل دِنہٕ خأطرٕ نُمایندن ہُند بلاونہٕ آمُت عام اجلاس۔

کواکھ :- اوک کانٛبل، زأویٖل۔ اوژٕھ۔

کوٗ :-[< س: کہ: شبِد] کمہِ باپتھ کمہٕ رٕنگی، کمہِ کنۍ، کِتھ پأٹھۍ۔

کولی :-[م۔مؤل: کولی < س: کولہٕ]۔ کنٛوٕر۔

کوثر :-[ن۔مؤل: کوثر < ع: کوثر]۔ جنتچہٕ اکہِ نہرٕ ہُند ناو۔ جنتُک اَکھ حوض۔

کہر :-[ن۔مؤل: کہر < س: سکندھ + کار۔ م۔ہ: کہار] ڈۆلۍ تُلن وألۍ تم یِم زأنپانہٕ پھیکِن پٮ۪ٹھ تُلن، کہار۔

کہرُبا :-[ن۔مؤل: کہربا < ف: کہربا]۔ اَکہِ قسمٕچ کٔنۍ ہش یوسہٕ کینژن چیزن پانس کُن لمان چھےٚ۔

کہالتھ :-[مؤل: کہالت < ف: کہالت < ع: کہل]۔ آلُش۔ لیۆژ آسٕنٕچ حالتھ۔

کہاوتھ :-[م۔مؤل: کہاوت < س: کتھا + وَت]۔ گاٹہٕ جارٕچ عام کتھ، دۆپ۔

کھوٗ ا :-[< ف: کوہ + س: کھرہ/ کھٹہ]۔ ١۔ اَکہِ قسمُک ہبڈُر یُس کھوڈٕ مونڈٕبن بیترِ پھٹان چھُ۔
٢۔ ہَندِ ہُند اَکھ قسم۔ وُسنۍ ہَند یوسہٕ وَتَن بیترِ کھسان چھےٚ۔

کھوٗ٢ :-[ن۔مؤل: کھو] کوٚنڈ۔ کوٚنجوٚس یُس پأنسہٕ خرچاونس ہأل آسہٕ نہٕ۔

کھوٗٹ :-[م۔مؤل: کھوچ < س: کشہٕ پٹّہٕ، م۔ہ: کسوٹی]۔ سوٗ کٔنۍ یتھ پٮ۪ٹھ سونس بیترِ کاہ دِنہٕ یِیہِ۔ سو خاص قسمٕچ کٔنۍ یتھ پٮ۪ٹھ سون بیترِ پرکھاونہٕ چھُ یِوان۔

کھوٗچہِ کھسُن :- پرکھاونہٕ یُن، اَزماونہٕ یُن۔

کھوٗچہِ کھارُن :- ١۔ پرکھاوُن، وُچھُن زِ کھوٗٹ چھا کِنہٕ پلسہٕ۔ ٢۔ اَزماوُن۔ وُچھُن۔ سَر کرُن (انسان بیترِ)۔ ٣۔ بدنام گژھُن لۆکن ہنزٕ زیوٕ پٮ۪ٹھ کھسُن۔

کھوٗٹ دِنۍ :- ١۔ کھوچہِ پٮ۪ٹھ پرکھاوُن (سون بیترِ)۔ وُچھُن زِ کھوٗٹ چھایا پلسہٕ۔ ٢۔ وُچھُن اَزماوُن، پرکھاوُن۔ سَر کرُن۔

نارس ہأوتھ )۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) مُہتھ تژاوان۔

کنزن پھکھ:۔ سُہ وکھراوُن یُس پچھن ہیتر کنزن وِزِ یوان چھُ۔ ییرُک یا تیر بن ہیتر ہُند دزُن مُشکھ۔

کنزِ تھ کھینی:۔ شرم نہٕ روزٕنی۔ کانٛسہِ ہُند لحاظہٕ نہٕ روزُن۔ خجل گرتھ تہٕ نہٕ خجل گژھن۔

کنکال:۔[ن۔ مؤل: کنکاس<س: کنکالہ]۔ کنکال۔ بچھِ وُن۔ غریب یُس کانٛہہ گُذار آسہِ نہٕ۔

کنکپیٖھ:۔[ن۔ مؤل: کنکپپ <س: کرپنہ]۔ کمینہٕ، کم ذاتھ۔

کنگ:۔[ن۔ مؤل: کنگ <س: کاگنہٕ]۔ ا۔ کھوڈس منز زولُمت الاو، نار ڈیر۔۲۔ منن۔ خاص قسمُک تھپہٕ دار کتر ہانہٕ یتھ منز نار تھاوان چھِ۔

کنگہ مج:۔ کچہٕ مج۔ زمیندأری ہُند اکھ سامانہٕ یمہٕ ستی اُبی زمینس آب لدِتھ دتہٕ دوران چھِ۔

کنگ زالُن:۔ الاو زالُن۔

کنگر:۔ وچھو "کانگہ گور"۔

کنگن:۔[ن۔ مؤل: کنگن <س: کنگنہ]۔ کانٛگنی۔ اکہِ قسمُک کوٚریُس نربن لاگان چھِ۔

کنگن ٹلنی:۔ (ورگہٕ) کھوژناوُن۔ تنگ کرُن۔

کنگنی، کنگنی:۔ [م۔ مؤل: کنگنی <س: کنکتہ]۔ ا۔ بوٚڈ کنگو یُس یُتھ پأٹھی زنانہٕ مستس دوان چھے۔

۲۔ اکھ بیٚیہ دار زوٚر چالہِ سامانہٕ یتھ تالہِ طرفہٕ برُک چھِ آسان تہٕ یتھ پیٹھ ییر وبژھناوان چھِ۔

۳۔ ووٚرِ وانگ برُی دار اکھ سامانہٕ۔۴۔ زول ژھونڈ۔ م: تاسس کنگنی دِنی۔

کنگنی دِنی:۔ ا۔ مستس زٕتھ کڈنی، مس ٹھیکھ کرُن۔

۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سوٗرے چھانٛتھ تژاوان۔ سأری ہے زول دِیٖن۔ پیئتہٕ پیئتہٕ وُچھن۔ ہیوٚن ہیوٚن کرُن۔

کنگنی کرٕنی:۔ ا۔ مس شیرُن، مس سنٛبھالتھ تھوٚون۔

۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) فأش کرُن۔

کنگنی والنی:۔ کنگنہٕ ستی مستس زٕتھ کڈنی، مس پارُن۔

کنگنہِ پھٹ:۔ کنگنہِ کھنٛڈ۔

کنگنہ کڈُن:۔ ییر ہیتر کنگنہِ پیٹھ وبژھناوُن۔

کنگنہِ گوٚر:۔ سُہ گأری گر یُس کنگنہِ بناوان چھُ۔ کنگنہِ چھان۔

کنگال:۔[ن۔ مول: کنگال<س: کنگالہ]۔ ننٛے دیوٗر۔ اتھ چھوٚن۔ یُس کانٛہہ گُذار آسہِ نہٕ۔

کنگال بنک:۔ سُہ بنک یا سو جاے یتھ اندر نہٕ کینٛہہ آسہِ، یہ چھُ کانٛہہ ہزلہِ کنی تیلہِ وَنان۔ ییلہِ پانس آسبس نہٕ تہٕ بیا کھ آسبس منگان۔

کنگال کرُن:۔ کانٛہہ گُذار نہٕ تھوٚون، سوٗرے مُہتھ نیٚن۔

کنگال گژھن:۔ ننٛے دیوٗر گژھبن، کانٛہہ گُزار نہٕ روزُن۔ اتھ تنگ گژھن۔

کنگوا:۔[ن۔ مؤل: کنگو<س: کنگنہ۔ م: مراٹھی: کنگوا] پھیکہِ کہٕ پٹھ مہٕ پانچ اُڈج۔

کنگوٕ ئتر:- کنگوچہِ اُڈۍ جہ ہُند اَند۔

کنگوٗ۲:-[ن۔مؤل: کنگو <س: کنگتہ]۔ اکھ بُرۍ دار سامانہٕ یُس مَس پأرنس یا زَٹھ کڈنس لگان چھُ۔

کنگودیٖن:- کنگوِ ستۍ مَس شیر تھٲوُن۔ کنگوِ ستۍ مَستس زَٹھ کڈِتھ سُم کڈٕنۍ۔

کنگوکرُن:- کنگوِ ستۍ مَس شیرُن سَنبالُن۔

کنگرو:-[ن۔مؤل: کنگرو <انگ: کنگرو] آسٹریلیاہُک اَکھ پوٗش یُس بچہِ پکناونہٕ باپتھ یڈ پاسہٕ ٹھیلہٕ ہیوٗ آسان چھُ۔

کَنمہٕ:-[ن۔مؤل: کَنم <س۔ کنہَ]۔ نِکہ تہٕ اوژھ اِنسان۔

کنوینَر:-[مؤل: کنوینَر <اَنگ: کنوینَر Convener] کُنہِ کمیٹی ہُند ممبرَ یُس سَمنہِ باپتھ تأریخ بیترِ مقرر تہٕ چِٹھِ بیترِ کڈان چھُ۔

کنوینشن:-[ن۔مؤل: کنوینشن <اَنگ کنونشن Convention]۔ کُنہِ اہم مامِلس دَل دِنہٕ خأطرٕ نُمائندن ہُند بلاونہٕ آمُت عام اجلاس۔

کوا کھ:- اوک کانٛبل، زأوِیُل۔ اوژھ۔

کوٕ:-[<س: کہ:شبد] کمہِ باپتھ کمہٕ رٕنگۍ، کمہِ کنۍ، کتھٕ پأٹھۍ۔

کولی:-[م۔مؤل: کولی <س: کولَہ]۔ کٹوٗر۔

کوثَر:-[ن۔مؤل: کوثر <ع: کوثَر]۔ جنتچہِ اکہِ نہرٕ ہُند ناو۔ جنتُک اَکھ حوض۔

کہَر:-[ن۔مؤل: کہَر <س: سکندھ+کار۔م۔ہ: کہار] ڈوٗلۍ ٹُلن والۍ تم یم زأنۍ پانہٕ پھیکَن پیٹھ ٹُلَن، کہار۔

کہرُبا:-[ن۔مؤل: کہربا <ف: کہربا]۔ اکہِ قسمچ کٔنۍ ہش یوسہٕ کینژن چیزَن پانس کُن لمان چھےٚ۔

کہالتھ:-[مؤل: کہالت <ف: کہالت <ع: کہل]۔ آلُژ۔ لیوٗ ژآسنٕچ حالتھ۔

کہاوَتھ:-[م۔مؤل: کہاوت <س: کتھا+وَت]۔ گاٹہٕ جارٕچ عام کتھ، دوٗپ۔

کھوٗ۱:-[<ف: کوہ+س: کھرہ/کھٹہ]۔ ۱۔ اَکہِ قسمُک ہبڈٕر یُس کھوڈٕ موٗنڈ بن بیترِ پھٹان چھُ۔
۲۔ ہَندِ ہُند اَکھ قسم۔ وُٹنۍ ہَند یوسہٕ وَنَن بیترِ کھسان چھےٚ۔

کھوٗ۲:-[ن۔مؤل: کہو] کوٗنڈ۔ کوٗنجوٗس یُس پانسہٕ خرچاوُنس ہأل آسہِ نہٕ۔

کھوٗٹ:-[م۔مؤل: کھوچ <س: کشہ پٹہ،م۔ہ: کسوٹی]۔ سوٗ کٔنۍ یتھ پیٹھ سونس بیترِ کاہ دِنہٕ ییہِ۔ سوٗ خاص قسمچ کٔنۍ یتھ پیٹھ سوٗن بیترِ پرکھاونہٕ چھُ یوان۔

کھوٗچہِ کھسُن:- پرکھاونہٕ یُن، ازماونہٕ یُن۔

کھوچہِ کھارُن:- ۱۔ پرکھاوُن، وُچھُن زِ کھوٗٹ چھا کنہٕ پاسہٕ۔ ۲۔ ازماوُن۔ وُچھُن۔ سَر کرُن (اِنسان بیترِ)۔ ۳۔ بدنام گژھُن لوٗکن ہٕنٛزِ زِیوٗ پیٹھ کھسُن۔

کھوٗٹ دِنۍ:- ۱۔ کھوچہِ پیٹھ پرکھاوُن (سوٗن بیترِ)۔ وُچھُن زِ کھوٗٹ چھایا پاسہٕ۔ ۲۔ وُچھُن ازماوُن، پرکھاوُن۔ سَر کرُن۔

کھوٹ لگنۍ:- پرکھاونہٕ یِن۔ سَرِ کرنہٕ یِن۔

کاہِینہٕ:-[م۔ مۆل: کابِین <انگ: کیبِنٹ Cabinet فرانسیسی کَنیٛ]۔ وزِیرن ہٕنز کونسل۔

کابلہٕ:-[ن۔ مۆل: کابل <ع: قابلہ]۔ ڈِبرِ دار پیچہٕ کِیٖل۔

کاپی:- وِچھِو "کاپی"۔

کاپریٹیو:- [ن۔ مۆل: کاپریٹیو <انگ: کواپریٹیو cooperative] پانہٕ وٲنۍ اَتھہِ روٗٹ ممکن بناونہٕ خاطرٕ اَدارٕ۔

کاپھ:-[ن۔ مۆل: کاپھ]۔ لَبرٕ۔ چھمب۔ کھٔس یا دَجہٕ ہیترِ دامنس تَل گاسہٕ بوٗٹھ۔

کاٹ چھانٹھ:-[ن۔ مۆل: کاٹ چھانٹ <پرٛاکرت: کٹہٕ + چھٹہٕ]۔ شیرٕ ژٲر۔ ژٔٹہٕ واٹھ۔ شیرٕن سنٛبالن، ژٔٹھ کٔٹھ۔

کاٹھ:-[ن۔ مۆل: کاٹھ <س: کاشٹھ]۔ ۱۔ کُلِن ہُنٛد (ژھلنہٕ آمُت) ہر ہانٛگل، زیٖن، ترٛشہٕ بیتر۔ باٹھ۔ ۲۔ لٔکر۔ لکرِ ہُنٛد۔ مِ: کاٹھ بَر۔ ۳۔ لٔکر گرٕچھ حالتھ حرکتھ نہٕ کرنہٕ کِنۍ کانٛہہ تان مومُت، تھکنہٕ موکھہ یا بیٚیہٕ کُنہٕ کِنۍ بنٛدس حرکتھ نہٕ کرِتھ ہِکُن۔ ۴۔ دوٗر درٛوٚنٹھ۔

کاٹھ بَر:- لٔکرٕن ہُنٛد بنومُت لوتہٕ وٲے دَرواز۔

کاٹھ بڑٲر:-[<س: کاشٹھ+ بڈالہٕ]۔ ۱۔ بچھوٗ بڑٲر یُس سہٕ گُگرن لارژانہٕ باپتھ بناونہٕ آسہِ آمُت۔ ۲۔ سُہ پٔش یُس تھدبن تھمبن پیٹھ کھارنہٕ آسہِ آمُت۔

۳۔ زیوٗٹھ دَن کٔرِتھ برونٛٹھی مہٕ انٛدٕ دولہٕ پوکھر لٲگتھ اَکھ سامانہٕ ییمہٕ سٟتۍ پیٹھے اَکھ پوٗرِس مکانس ہیترِ شیٖن والان چھہِ۔

کاٹھ بُرِی کانٛج:- کاٹھ برکِبن انٛدرن ہٕنٛدی ڈٕنڑ یا لٹرٕ یِمن سٟتۍ سٲر بنٛد چھےٚ آسان۔

کاٹھ چھان:- دانیُک اَکھ قٕسم یَتھ دانہٕ پوٗشہٕ تہٕ گوٗٹ سفید چھُ آسان۔

کاٹھ پچھٹھ:- چھٹہِ ہُنٛد اکھ قٕسم۔

کاٹھ دَچھ:- دَچھِ ہُنٛد اکھ قٕسم یَتھ ۂٹ ہی پھٔلۍ چھِ آسان تہٕ رَس چھُس نہٕ گرٕشان۔

کاٹھ دٲن:- دٲنۍ ہُنٛد اکھ قٕسم، یُس وُسنۍ چھُ کھسان تہٕ کھیوٗن لایق چھُنہٕ آسان۔

کاٹھ زنٛگ:- سُہ دو پھ یُس ہوٚکھمُت آسہِ سُہ دو پھ بیترِ یُس ہوکھنہٕ کِنۍ زالنہٕ وراٲے بیٚیہٕ کُنہٕ لگہِ نہٕ۔

کاٹھ ژٕنہٕ:- تمہِ ژٕنہٕ یمہٕ کلہٕ لنجہٕ زٲلِتھ تیار کرنہٕ آسن آمٕژٕ۔ مُ: پَنہٕ ژٕنہٕ۔

کاٹھ کولوٗنگ:- ۱۔ اَکھ جاناوار یُس پکھہٕ تہٕ زنٛگہٕ ترٛیشہٕ ہشہٕ چھےٚ آسان تہٕ رَتھ ماز چھُس سیٹھاہ کم آسان۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سُہ اِنسان یُس تھدٕ تھوٚد آسہِ اماپوٚز زَرتھ ماز آسبس نہٕ کینٛہہ۔

کاٹھ کون:- تیوٗت کاٹھ یوٗت کومہٕ منٛز پیہ۔

کاٹھ لنگار:- اَکھ جنگلی جانور یُس ترٛژرٕس ہشہِ شکل چھےٚ آسان۔

کاٹھلوٗ ژھ:۔بُڈ کاٹھ گیڈ ۔ تیوٗت کاٹھ یَتھ ژتژے باپتھ گنڈ نہٕ ییٚن۔

کاٹھِ لوٗ ژھر:۔لو یکٹ کاٹھ باُٹھ، گنڈس کھارنہٕ آمژ کاٹھ کھون۔

کاٹھِ نیار:۔آرگژ ھنج حالتھ۔دوٗرگژ ھنج حالتھ۔

کاٹھِ واو:۔اکہِ قسمک پھہَر واو۔یمہِ ستی لگرِ سُتر ير كران چھِ۔

کاٹھِ وور:۔دانیگ اکھ قسم یَتھ دانہٕ پوٗٹھ تہٕ گُر چارِ سان سفید چھُ آسان۔

کاٹھ باٹھ:۔گُلہِ بیترِ یُگ (ٹھلنہٕ آمُت) سورُے ہرہانگل۔باپچھِ تہٕ لگر۔

کاٹھ قوٗصوٗر:۔کُنہِ کلمہ کاییٚن، کشُن یا آلُژھ کرُن۔

کاٹھِ کر:۔کُنہِ زمینہٕ ٹُکرس بیترِ اَندی اَندی گنڈنہٕ آمژ لٔر گٹنن یالگرِ چھلن ہنز بَندِش یاپے۔جنگلہٕ۔

کاٹھ گرٔھن:۔اَکہِ جایہِ بیہنہٕ بیترِ کنہ تھکُن۔جِسم کاوُرن یالگر ہش گرٔھنی۔

کاٹھی ہیر:۔ہَچِو ووتھِ ہیر، سو ہیر یوسہ سارِ ے ہَچِہ ہنز بنےہنژ آسہِ۔

کاٹھ۲:۔[ن۔موٗل: کاٹھ <پراکرت: کٹہٗ]۔۱۔تہِ یہِ نہٕ کاتُسہِ نشہِ نیر یا یہِ کاتھہ گرتھ ہیکہِ نہٕ۔
۲۔تاسس رِگندن وِزِ کاتھہ رَنگ اُتھس منز نہٕ آسُن۔

کاٹھ آسُن:۔۱۔تاس رِگندن وِزِ رَنگ اُتھس منز نہٕ آسُن۔۲۔مُچھِ آسُن۔اَلگ آسُن۔گرٔز نمبر آسُن۔

کاٹھ گرٔھن:۔تاسس رِگندان رِگندان اَتھِ منز کاتھہ رَنگ موکلُن۔

کاٹھُن:۔[ن۔موٗل: کاٹھ <س: کاشٹھ]۔۱۔دَرُن۔دوٗر گرٔھن۔کاٹھی گرٔھن۔۲۔(ورگہِ پاٹھی) آلرٔژی بٔنن۔کام کوٗٹ کرنس نہٕ عادتھ روزُن۔

کاج:۔[<؟س: کاچہ۔م۔ہ: کاج]۔ناٹی پلوٗس بٔٹن بند کرنہٕ باپتھ بناونہٕ آمُت وول۔بٔٹن دِنگ وول۔

کاجِہ وَٹھ:۔[ن۔موٗل: کاجِہ وَٹ <س: کاجہ+وَٹہ] نیامہِ بیترِ چیز ژیٹنہٕ باپتھ کنیوٗ دَگن۔اُٹھل۔

کاجُو:۔[<اَنگ: کَشو Cashew]۔اَکہِ ہوکھ پھلک ناو۔

کاچھر:۔[ن۔موٗل: کاچھر <س: کاشٹھ+ار]۔
۱۔(گوگل چالہِ سبزی بیترِ) کاٹھ گژھنج حالتھ۔
۲۔(ژوٗر واُنسہِ ینہٕ کنہِ گومُت) دزِ پنچھر۔
۳۔سُستی۔آلُژھ۔

کاد:۔[ن۔موٗل: کاد <؟ف: کارندہ] (زراتس بیترِ) ساُدن۔

کادس پزاُرن:۔(کُنہِ کامہِ کارس) ییٚین آویزِ روزُن۔

کادس گرٔھن:۔سادنہِ گرٔھن۔ (کامہِ کارس) پوٗشُن، پکرُن۔

کادِ واُلی:۔۱۔یِم کادس گاٹہتی آسَن۔۲۔یِمن کاد آسہِ۔یِمو سادن واُلی سوٗمبری ہتی آسَن۔

کادتژاوُن:۔کام ڈلی ڈلی اَنزرادنہٕ باپتھ واریاہ

لۆکھ پکنہٕ اَنٛز ۔

کادکرُن:—ا۔ کانٛہہ کأم اَند واتناونہٕ باپتھ ہمسایہ بیترِ سوٗمبرِتھ اَنٛز تہٕ کھیاوٕنۍ چاوٕنۍ ۔٢۔ کانٛہہ کأم بیترِ ڈُلۍ ڈُلۍ موکلاونہٕ باپتھ واریاہ لۆکھ کأم کرنہٕ اَنٛز ۔

کادلاگُن:—وُچھو ''کادکرُن'' ۔

کادَر:— [ن۔ مۆل: کادَر <وُچھو۔ کاد ]۔ تِم سادَن وأنۍ یِم صرف بَتس پتھ کامہِ گژھن۔ تِم کامہِ پکن وأنۍ یِمن صرف بَتہٕ پیٚسہٕ دِین ۔

کادُر:— [ن۔ مۆل: کادر <وُچھو ، کاد ] کادس آمُت یا گومُت ۔

کاڈ ا:— [ن۔ مۆل: کاڈ <پژاکرت : کڈڈھ ]۔ ا۔ وہراو، تھزر، زیٚچھر، قد ۔٢۔ تأرۍ ڈرۍ یاوُک یا آرٕ بیترِ یُگ اکہِ بَتھہِ پیٹھہِ دوٚیمس بَتھس تام منزٕ دوٗر بر۔ ڈری یاوُک بیترِ کھجر ۔٢۔ (زامن گُرتھ) بنٛدن کوٗ دُمت واش۔ لمباسہٕ ۔

کاڈ دِین:—ا۔ ڈاپھ ترٛاوُن۔ لمباسہٕ دِین ۔ ٢۔ تھدُن، زیٚٹھُن واش کڈُن۔ مِ: وَردَن کاڈ۔ ٣۔ لاشہِ دراز دِین ۔

کاڈ کڈُن:—ا۔ تھدُن، زیٚٹھُن ۔٢۔ (زامن گُرتھ) واش کڈُن ۔٣۔ (ورگہٕ پأٹھی) بالغ سپدُن ۔

کاڈ نیرُن:—واش نیرُن ۔ بَتھہٕ روزُن ۔

کاڈ ہرُن:—تھدُن، واش نیرُن، زیٚٹھُن ۔

کاڈ ٢:— [ن۔ مۆل: کاڈ <اَنگ : کارڈ Card ]۔

ا۔ موٹہِ پھَن کاکڈُک ٹُکرٕ یُس چِٹھی یا روقہٕ بیترِ لیکھنہٕ باپتھ وَرتاونہٕ ییہِ، چیٚنڈی ۔

کاڈے:— [م۔ مۆل: کاڈے <پژاکرت : کڈڈھ ] (ہزلہٕ) کُنہٕ پتھ کینٛہہ لاگنٛچ کأم، خاص گُرتھ دیار خرٕچ کرنٛچ کأم یَتھ نہٕ پۆرٕ وَٹتھ ییہِ۔ مِ: دیار کاڈے ۔

کار ا:— [ن۔ مۆل: کار <ف: کار/س: کاریہَ ]۔ ا۔ کأم، میحنتھ، عمل ۔٢۔ پیشہِ ۔٣۔ پھیٚٹ: شیطأنی ۔ ۴۔ ہ۔ کار۔ کارکرتوٗت۔ مِ جے جے کار ۔

کارِخأر:—رٕ ژ کأم، کھانٛد ر بیترِ۔ بۆ ڈدوہ ۔

کارِکرتوت:—سو کأم ییمہٕ سِتۍ بدنام گژھنۍ زٕ۔ کو پھیٚچہٕ ۔

کارِ بار:—ا۔ باپار۔ تجارتھ ۔٢۔ پیشہٕ ۔٣۔ کأم کار ۔

کارِ بأری:—سُہ یُسنٛد پیشہِ کارِ بار آسہِ، کارِ بار کرن وول۔ باپأری ۔

کاروبیگار:—تہٕ یَتھ کرنس چار لگہِ نہٕ ۔

کاربنٛد:—فرمانبردار، تأبیادار۔ یُس وُنۍ مِتس ڈلہِ نہٕ ۔

کاربارِ پیٚوٗن:—کأم گوٗب گژھنۍ۔ کامہ نہٕ یاپُن ۔

کاردار:—ا۔ موہتبر۔ سُہ شخص یُس (کانٛسہ چکدار یا جأگردارہسنٛدِ طرفہٕ) کُنہٕ کامہِ بَتھہِ آسہِ، گُماشتہٕ۔ کارِ بار چلاوَن وول ۔٢۔ پٹھان دورس منٛز اَکِس اَہلکارسنٛد ناو یُس زٕمیٖنداران نِشہِ جِنسی مالیہٕ وٕصوٗل کران اوس ۔

کارساز:—کلمہِ کارس سبزٕ کرن وول ۔٢۔ خوداے ذے ۔

کارکاٗم:- کارٕ بار۔ تہٕ سوٗرے کینٛہہ یُس کرُن آسہِ کرُن کرٛاون۔ کاٗم کار۔

کارگر:- [<ف: کارگر] ۱۔ یتھ اَثر آسہِ۔ ۲۔ سیوٗد۔

کارگُزاری:- خٕدمتھ تہٕ کاٗم ہیٚترِ۔ طور طریقہٕ۔

کارنامہٕ:- کینٛہہ تیُتھ یُس ہاوٕن باوٕن لایق آسہِ۔ تھٔزِ لایق کاٗم۔

کاروائی:- ۱۔ کاٗم چلاوٕنۍ۔ ورتاو، کارگُزاری تامیل، وَرتاو۔ ۲۔ رپورٹ ہیٚترِ درج کرناونٛچ عمل۔

کار۲:- [م: مؤل: کار <اَنگ: کار Car]۔ موٹر، لوٚکٕٹ گاڑۍ۔

کارَن:- [ن۔ مؤل: کارَن <س: کارَنہٕ]۔ ۱۔ وَجہ۔ سبَب۔ ۲۔ دَیہ ہٕندۍ پرٛچھ۔ م: تٔژے کارَن۔ ۳۔ (سارِنٕے) بَناوَن وول۔ خالق۔

کارَنٹین:- [ن۔ مؤل: کارنٹین <اَنگ: کوارن ٹین Quarantine]۔ لاگ دار بیمارۍ رُکاونہٕ خاطرٕ کانٛہہ شخص بدٕن تھٔوُن۔ بدٕن تھونٛگ وَق چھِ ژتجیہہ دوہ۔

کارَنٛد:- [مؤل: کارَنٛد <ف: کارندہ]۔ ۱۔ کاٗم کرن وول۔ ۲۔ یُس کاٗم کرنس عادتھ آسہِ۔ ۳۔ گُماشتہٕ، اَجنٛٹ۔

کارُن:- [ن۔ مؤل: کار <پرٛاکرت: کڈڈھ۔ م ہ: کاڈھنا]۔ ۱۔ گرٛکہٕ دِن، گرٛکہٕ ناوُن۔ ۲۔ وبگلاوُن۔ نارس ہیٚترِ پٕتھ تھاوِتھ گملاوُن۔

کارنہٕ یُن:- ۱۔ گملُن۔ وبگلُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سخ گرٕم گژھُن، پھٕٹرِ پھٕٹرِ عارق وَسُن۔ گمہٕ ژھٹھ پھیرٕنۍ۔

کارٕتھ دِہر کڈٕنۍ:- سبٹھاہ خٔرچ کرناوُن۔ پزنہٕ پیٹھۍ دِیار خرچس لاگہٕ ناوُن۔ ڈرۍ پأٹھۍ سالہٕ ڈٕنٛگا ہیٚترِ ہیوٚن۔

کورٕمٕت:- یہ کارنہٕ آسہِ آمٕت، یتھ گرٛکھ آسہِ اَنہٕ آمٕژ۔ یہ وبگلاونہٕ آسہِ آمٕت، یہ گملاونہٕ آسہِ آمٕت۔

کارتِکھ:- [ن۔ مؤل: کارتِک <س: کارتکہٕ]۔ سَنہ ربتھ یُس اَشدِ پتہٕ یِوان چھُ، انگریٖزۍ حسابہٕ چھُ یہ ربتھ اکتوبر نومبرس منٛز یِوان۔

کارتوٗس (کارتوٗز):- [ن۔ مؤل: کارتوس <اَنگ: کارٹ رِج Cartridge]۔ لوٚکٕٹ اَہرٕنٛز نور (یُس بوٚنٛدوٗقس بران چھُ)۔

کارٹوٗن:- [ن۔ مؤل: کارٹوٗن <اَنگ: کارٹوٗن Cartoon]۔ ۱۔ کُنہِ شخصیٖژ یا واقعٕہس پٕٹھ ٹسنہٕ یا ہزٕل کرنہٕ باپتھ بناونہٕ آمٕژ شکل یُس کُنہِ اخبارس ہیٚترِ منٛز چھپہٕ۔ جأنٛی شکل۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) بےٚ ڈب اِنسان۔ جأنٛی شکلہٕ اِنسان۔

کارٹوٗنسٹ:- [ن۔ مؤل: کارٹوٗنسٹ <اَنگ: کارٹوٗنسٹ cartoonist]۔ کارٹوٗن بَناوَن وول۔

کارخانہٕ:- [ن۔ مؤل: کارخان <ف: کارخانہ]۔ ۱۔ سوفیکٹری ہیٚترِ یتہٕ واریاہ ژٕنۍ کاٗم آسَن

کران۔ سو جاے یۆتہِ کانٛہہ چیز بڈِس تیداَس منٛز بَنان آسہِ۔ کسہٕ ژاٹہٕ ہال۔۲۔ لداوِ بیترِ چ کٲم۔ م: مکانس چھُ کارخانہٕ چلان۔

کارخانہٕ دار:-۱۔ کارخانُک مٲلِکھ۔ یُس کانٛہہ کارخانہٕ چلاوان آسہِ۔۲۔ مکانہٕ بناوَن وول۔

کارگُن:-[مؤل: کارگُن <ف: کارگُن]۔۱۔ کٲم کرن وول، سُہ یُس کٲم انجام اَنان آسہِ۔۲۔ میحنتی۔ کمٲل۔۳۔ کُنہِ (سیاسی یا سماجی) جماژ ہُنٛد ممبر۔۴۔ تم برٛہمَن یِم نوکری پیشہٕ آسَن۔

کارکوٗٹ:-[ن۔ مؤل: کارکوٗٹ <س: کارکوٹہ]۔ ۱۔ توسہِ مٲدانس نکھہ اکہٕ ناگُک ناو۔۲۔ (پتھ کالہٕ) کٔشیرِ ہِنٛدِ اکہٕ راژ خاندانُک ناو۔

کاروان:- [ن۔ مؤل: کاروان <ف: کاروان]۔ (مُسافرن بیترِ ہُنٛد) قافلہٕ۔ جماتھ۔ سَفرس آسہِ وِنمن گُرِ ہن، چاروایِن تہٕ گاڈِ ہن بیترِ ہنٛز رٔج۔

کاژَن:-[ن۔ مؤل: کاژَن]۔ (پٔتِیو) مولوی دستار۔

کاژٕ راوُن:-[<وُچھو "کاژُر"]۔ زَزراوُن۔ تہِ کینٛہہ کرُن یمہِ ستۍ زَردی پھیرِ۔

کاژٕ رُن:-[ن۔ مؤل: کاژر <وُچھو، کاژُر]۔ لیٛدریر پھیرُن، کاژُر گژھن، زَزراژُن۔

کاژٕ ریر:-[ن۔ مؤل: کاژریر <وُچھو "کاژُر"] کاژُر آسنٕچ حالتھ۔ زَزرٕچ گژھنٕچ حالتھ۔

کاژُر:-[ن۔ مؤل: کاژر <پراکرت: کچٕچوٗر <س: کرچوٗر ]۔ ۱۔ گوٗٹ ووزُل (رنگ) توٗسی، گُرٕ۔۲۔ سُہ یُس کاژرِرَنگہٕ آسہِ۔

کاژھ ا:-[ن۔ مؤل: کاژ <س: کاسہ]۔ ۱۔ سِلہٕ، دبق، اکھ بمٲری یمہِ ستۍ انسان دوہ کھوتہٕ دوہہٕ گلان چھُ۔۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) ژ درٛوٗگ۔ ۳۔ (ورگہٕ پٲٹھی) ہول۔

کاژٕ کوٗچھ:-سو یوسہٕ سِلَن ژٕھرٛ آسہِ سِلہٕ لٔدِنی۔ یَس دبق آسہِ گومُت۔

کاژٕ لد:-۱۔ سِلہٕ لد، سُہ یُس کاژھ آسہِ گومُت۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) سُہ یُس ہوٚکھمُت آسہِ۔ یُس اَلان تہٕ ڈٔلان آسہِ۔۳۔ نہ ہکہٕ وُن۔

کاژٕ واو:-۱۔ ووبا، دوو۔۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) سُہ وَق یَتھ منٛز زُوس لار لگہِ۔ مُصیبتُک وَق۔

کاژٕ واوِ لگُن:-(ورگہٕ) مُصیبتَس منٛز ہیٚنہٕ یُن، تاوُنس لگُن۔

کاژھ ٹُلُن:-تہِ کرُن یمہِ ستۍ کاژھ ووتھِ۔ تیٚتھ درٛوٗگ ٹُلُن یمہِ ستۍ دبق ووتھِ۔

کاژھ کرُن:-(ورگہٕ) تنگ اَنُن، تالہِ کنٛز اَنُن۔ تیٚتھ ژٕطیر کرُن یمہِ ستۍ پانہٕ مٲرِس وٲتی زِ۔

کاژھ گژھُن:-۱۔ سِلہٕ گژھُن، دبق گژھُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) تنگ یُن، تالہِ کنٛز یُن۔ ژ درٛوٗگ ووتھُن۔

کاژھ ۲:-[ن۔ مؤل: کاژ <س: کاچہ]۔ شیشہٕ۔ م:

کاژبٔنگر۔

کاژبنگر:۔شیشو بٔنگر۔شیشو کرٛھکر۔

کاژبوٹہٕ:۔اَکھ وُپھ وُن کیٛوٗم۔

کاژتمبر:۔وَژھن اُچھن گاش نہٕ آسٕنۍ بمأری۔

کاژتمبَر لَد:۔یَس وَژھن اُچھن گاش آسہِ نہٕ۔ اون۔ یہِ چھِ تَس تہِ وَنان یَس کینٛہہ یا کانٛہہ بروٗنٛہہ کنہِ اُستھ تہٕ لبنہٕ ییہِ نہٕ۔

کاژ زٕوُن:۔کارتیٛچ پھَل ژٔنڈرہش زٕوُن یَتھ داغ بیتر چھٕنہٕ آسان۔

کاژ گوٚر:۔کاژ بنٛگرِ بناون وول۔

کاژمیٛژ:۔میٛژِ ہُنٛد اَکھ قٕسم یَتھ کاژ بنٛگر بناوان چھِ۔

کاژ واٹھ:۔شیشک واٹھ۔سُہ چیز ییمہِ سٟتۍ شیشس واٹھ چھِ دِوان۔

کاژ ووٚنۍ:۔شیشہِ سامانہٕ کٔنۍن وول دُکاندار۔

کاسنۍ ہَنٛد:۔[م۔کاسنۍ ہَنٛد<ف: کاسنی]۔ہَنٛدِ ہُنٛد اکھ خاص قٕسم۔

کاسُن:۔[ن۔مۄل: کاس<س: کس۔ا۔(کھورِ یا کاژ بیترِ سٟتۍ) مَس ژٕلُن۔۲۔دوٗر کرُن (نوٗقص یا بمأری بیترِ) ژٕلراوُن۔

کاش:۔[<ف: کاش]۔ا۔دَے اگر بوزِ ہے۔اگر سپدِ ہے۔۲۔ہرگاہ۔یوٗ دوٗے۔

کاشت:۔[مۄل: کاشت<ف: کاشت]۔کمأے۔ وَوُن۔وایُن۔

کاشتس دیُن:۔زمیٖن لاگُن دیُن، بٕہِس پٔتھ کأنٛسہِ زمیٖن کماونہٕ باپتھ دیُن۔

کاشت کرُن:۔ووپداوُن۔بوٗ ناوُن۔

کاشکار:۔[<ف: کاشتکار]۔ا۔کمیٖل، سُہ یُس زمیٖن کماوان آسہِ۔۲۔یُس دوٚیمۍ سٕنٛد زمیٖن آباد کرِتہٕ پأداوارِ منٛز حصہٕ نیہِ۔

کاشکأری:۔[<ف: کاشت کاری]۔ا۔زمیٖن کاشت کرنٕچ کأم۔زمیٖن آباد کرنٕچ عمل۔۲۔دوٚیمۍ سٕنٛز زمیٖن پأداوارِ کِس حصس پٔتھ آباد کرنٕچ کأم۔

کاشکأری کرٕنۍ:۔حِصس پٔتھ لوٚکہٕ ہُنٛد زمیٖن لاگُن۔ دوٚیمۍ سُنٛد زمیٖن آباد کٔرِتھ موٚزوٗر کنہِ فصلہٕ منٛز حصہٕ ہیٚن۔

کاغذ، کاکَد، کاکَذ:۔[ن۔مۄل: کاکذ<ف: کاغذ] گاسس، ہٕلکرِ بیترِ بناونہٕ آمٕتۍ وَرَق یمن پٔتھ لیٚکھان چھِ تہٕ کِتابہٕ بیترِ چھاپان چھےٚ۔

کاغذ بٔرگ پٔتر:۔کاغذ وَرُق۔کاغذ تر۔

کاغذ تاہ:۔خاص میٛژ کاغذ یَتھ کأپی ہٕنٛدۍ ژور ورق نیرن۔

کاغذ چھُ کران کتھ:۔ییہِ کینٛہہ کاغذس پٔتھ لیٚکھِتھ آسہِ تمہِ سٟتۍ چھُ سورُے پوٚز اَپُز نَنان۔

کاغذ دَستہٕ:۔کاغذٕکۍ ژوٚوُہ تاہ۔

کاغذ رِم:۔وُہ دَستہٕ کاغذ، کاغذس پانٛژھ ہتھ تاہ۔

کاغذ کرُن:۔اِشٹام لیٚکھُن، تحریر لیٚکھُن، ملبہٕ کرُن۔

کاغذ کیوٚم:-۱۔اَکھ ٹیٚک روٗپہٕ کیوٚم یُس کاغذس کھوان چھُ۔کاغذس کترن وول اَکھ کیوٚم۔
۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) یُس یٔژ پاٗٹھی پرٛنس لیکھنس پیٚتہٕ آسہٕ لوٗگمُت۔

کاغذ گر:-سولرِیوسہٕ زیری پیٚپہٕ (شوٗپرنے)

کاغذ گوٚر:-کاغذ بناوَن وول یُس کاغذ بناوٕنۍ زانان آسہٕ۔

کاغذ وَرق:-کُنہٕ کاغذ ٹُکرٕ (کتابہٕ یا کاپی ہنٛد سایز)

کاغذن کھسُن:-۱۔لیکھنہٕ یِن،دَرج سپدُن،تحرٕ پرس منٛز یِن۔۲۔عدالتہٕ وانس لگُن۔

کاغذی:-۱۔کاغذُک بنیومُت۔۲۔سُہ موٚیتھ گنٛڈ سبٹھاہ اُوج آسہٕ۔۳۔ یتھ نہٕ عمل دَرآمد سپدِ۔
۴۔کمزور۔اُوٚیل۔۵۔اَپُز۔

کاغذی بادام:-بادمن ہُنٛد اُوجہٕ کَنجہٕ اَکھ قسم۔

کاغذی ڈوٗن:-ڈوٗنن ہُنٛد سُہ قسم یتھ گنٛڈ اُوِج چھےٚ آسان۔

کاغذی کاروائی (کرٕنی):-(کاٗنسہِ خلاف عدالتس بیترِ منٛز) مُقدمہٕ درٕج کرُن، درخاس دِیُن، رِپورٹ کرُن۔

کافر:-[مۆل: کافُر <ع: کافُر]۔بےدِین۔نامُسلمان۔ کُفر کرن وول۔یُس نہٕ شُری یَتس پیٹھ پکہٕ۔

کافر کیش:-(ورگہٕ) محبوٗب،ماشوق۔

کافی:-[<اَنگ: کافی Coffee]۔اَکہٕ قسمُک چاے۔

کاکذ:-وُچھِو "کاغذ"۔

کاگنٕز:-[م۔مۆل: کاگنٕز <وُچھِو۔کاک]۔زِٹھ پیٚچھُز۔ زِٹھ باےٚ کاگنٕز۔زِٹھس باےٚ سٔنز آشنٕز۔

کاگنٕز دبد (کاکہٕ دبد):-زِٹھ باےٚ کاگنٕز، یٔژتہٕ سان زیٚچھ زَنہٕ وَنان۔

کاگر:-[ن۔مۆل: کاکر <وُچھِو۔کاک]۔ہبُل،ژوٗر، کاکھ،بےٚ ایمان۔

کاکھ ۱:-[ن۔مۆل: کاک <مُ۔ہ: کاکا]۔۱۔زیٹھ، مول ہیترِ۔۲۔(ورگہٕ) ژوٗر۔

کاکہٕ سال،تہٕ ژےٚ کیا،کاکہٕ بگاٗرٕ تہٕ مےٚ کیا:-
یہٕ چھ تمہٕ وقتہٕ وَنان ییٚلہٕ کاٗنہہ کھینہٕ چیٚنہٕ وِزِ بروٗنہہ دَوِتہٕ کامہٕ کارِ وِزِلاگہٕ کلِس ڈول۔

کاکہٕ لالہٕ:-۱۔یٔژتھ دار،زیٹھ،یہٕ چھِ یٔژتہٕ پٔژھی کاٗنسہٕ زِٹھس وَنان۔۲۔(ہزلہٕ) ہبُل۔

کاکہٕ ہاٗنکل:- واریاہ رِشتہٕ آسٕنۍ زیوٗٹھ رِشتہٕ۔ دوٗریٚک رِشتہٕ۔

کاگن ہاپتھ:-تہٕ دۄیِتھ گوپانےٚ اُنی ہژ بلاے اَگادِ گژھنۍ۔تتھہ پاٗٹھی ہینہٕ یِن یتھ موکلن پاےٚ روزِنہٕ۔

کاکھ لاگُن:-زِچھر ہاوِنہٕ یِہُن۔پیٹھوٗلی کرٕنی۔

کاکھ ۲:-[ن۔مۆل: کاک <اَنگ: Cork]۔اَکہٕ خاص قسمہٕ چہٕ بَچہٕ ہُنٛد ٹھانہٕ یُس بوتلَن ہیترِ گوٚل بنٛد کرنہٕ باپتھ چھُ استیمال سپدان۔

کاکھ ۳:-[ن۔مۆل: کاک <اَنگ: کاک Cock]
نلہٕ پیچ ٹوٗنٹی۔

کال ا: -[ن۔مؤل: کال > س: کالیَہ/کلیہ]۔شامُک کھین، شامُک ڈ َنگ۔

کال دیُن: -شامُک بتہٕ ڈنگ دیُن (خاص گرِتھ یینہٕ وأنِس)

کال کرُن: -ا۔شامُک سال کرُن، شامُک بتہٕ دیُن۔ ۲۔شامُک بتہٕ کھیۄن۔مِ: تُمۍ کوٚر کال تِتۍ۔

کالہٕ کاجہِ: - وُچھان وُچھان ۔مِ: کالہٕ کاجہِ گٔے ستھ ؤری۔

کال ۲: -[ن۔مؤل: کال > س: کالہ]۔ا۔سمے وَق۔ ویلہٕ۔مِ: سوٗنتھ کال۔۲۔موتُک موٗکل۔مِ: مہا کال۔

کال ۳: -[ن۔مؤل: کال > س: اَکالہَ]۔دزاگ۔

کالس بُتھِ گژھُن: -یُنہ تِتھ کامہِ بیترِ زَنگ ژھنُن یتھ منٛز مَرنُک خطرٕ آسہِ۔اُس وُہرتھ بلایہِ سپنہٕ دارُن۔

کالہٕ پگاہ: -ا۔وُچھان وُچھان، ژینہٕ وَن لگنہٕ ورأے۔۲۔اَز نتہٕ پگاہ نتہٕ۔

کالہٕ پگاہ کرُن: -ا۔وَق گساوُن، دوہ دوہ کڈُن۔ ۲۔واد دِتھ نہٕ پوٗر کرُن۔

کالہٕ روٗدر: -[ن۔مؤل: کالہٕ روٗدر > س: اکالہ رُودر] سمہار کرن وول شو۔

کالہٕ زال: -موتُک زال: موت یُس زاگہِ چھُ آسان۔

کالہٕ سمہار: -پرٛلے، قیامتھ۔

کالہٕ سمہأرک: -سأری ہے ناش کرن وول، تہٕ ڈٖپتھ گوروٗدر روٗپہٕ شِیو ناتھ۔مُ: قہار۔

کالہٕ شیکھر: -وقتُک تاج، شِوٕ سُند ناو-(شوٗپرٕنۍ)۔

کالہٕ گُھچھ کرُن: -وَق گُذارُن۔وَق کڈُن۔

کالہٕ وار: -سُہ دوہ یُس گزیہد بو موٗجوٗب یُنہٕ خاص طرفس کُن گژھنہٕ باپتھ جان آسہِ نہٕ۔ یِیلہٕ زُوک خوف آسہِ۔

کال گژھُن: -وق گُزرُن سبٹھاہ زمانہٕ گژھُن۔

کال واتُن: -موت یُن، مَرُن وِزآسِنۍ۔

کال یُن: -موت یُن، مَرُن، مُرتھ گژھُن۔

کالَر ا: -[ن۔مؤل: کالر > اَنگ: کالر Coller]۔ نألۍ پلوٗک نالس نِشہِ سُہ حِصہٕ یُس پھِٹرِتھ روزان چھُ۔

کالَر ۲: -[مؤل: کالر > اَنگ: کالر Caller] کورِ سوٗ کوٗلس منٛز (کورہن سوٗمبرتھ اَننہٕ بیترِ باپتھ) زنانہٕ چیرأسۍ۔

کالَم: -[ن۔مؤل: کالم > اَنگ: کالم : Column] کاغذ ورقُک بیترِ پٹھ بون تام اَکھ حِصہٕ، خاص گرِتھ اخبارُک رِسالگ بیترِ۔

کالے: -[ > س: کلیَہ/کالیَہ+ایُو]۔ پگہُک دوہ یِنہٕ برونٹھے، شام وقتے۔

کالا پأنی: -[ن۔مؤل: کالا پأنی > س: کالا پانِیہ]۔ (ل۔م) کرٛہُن پوٗنی۔سمندرٕ اپور۔یہ اُسۍ اَنڈمان زُوٕ وَنان تہٕ کشیرِ منٛز اُسۍ گژھ پٔٹس

ونان۔ گج پتھ چھُ رام بَنہٕ اوٚری ہُند جوٗری وَتہٕ چناپہٕ اپور کوہہ پتٕ اکہِ جایہِ ہُند ناو، اوتٕ اُسی خطرناکھ قِد ین سوزان۔

کاپأنی سوزُن:- جلاپہِ وطن کرُن۔ مُلک بدر کرُن۔

کالا گنہٕ:- [ن۔مؤل: کالا گن <س: کالا گنہ]۔ قامتگ نار، کلپأتنگ نار۔

کالہِ:- [ن۔مؤل: کال <س: کالہ]۔ (فلأنی) وقتہٕ۔ (فلأنی وِزِ۔ مِ: پتھ کالہِ۔

کالہٕ:- [مؤل: کال <س: کالہ]۔ ا۔ کرٕہُن۔ کرٕیہنہِ رَنگہٕ۔ ۲۔ اَکھ دوہبر وٚنہہ۔

کالہٕ تَمن:- سَخ کرٕیہنیار۔

کالہٕ وُچھ:- اکھ وٕسنۍ موٗیُس وِڈرَن بووان چھُ۔

کالہٕ زیرٕ:- زِریُک اَکھ قسم۔

کالہٕ سَرُپھ:- کرٕیہنہِ رَنگہٕ سرُپھ، سُہ کرٕہُن سَرُپھ یُس سخ زہر پلہٕ آسہِ۔

کالہٕ گٹہٕ:- ا۔ سخ اَنہِ گٹہٕ یتھ منٛز کینٛہہ باتہٕ ییہِ نہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ) پأٹھی بے بوٗج، نا انصأفی۔ تِتھہ حالتھ یتھ منٛز کانٛہہ باز خاس آسہِ نہٕ۔

کالہٕ واتُل:- (ورگہٕ) سُہ یُس سخ کرٕہُن آسہِ۔

کالہٕ داس:- [ن۔مؤل: کلہٕ داس <س: کالہٕ داسہ]۔ (ہزلہٕ) کٔدٕ کأکر، ژوٗر گاٹُل، وُٹھی وُٹھی کتھہ کرن وول۔

کالہٕ داسس تالہٕ ژٕلُن:- تہٕ ڈیٚتھ گو: گاٹلس چھِ سبٹھاہ مُصیبتھ پیوان ٹٕلنۍ۔

کالہٕ دأسی وَننۍ:- زیرکی چھَکنۍ۔

کالِر:- [ن۔مؤل: کالر]۔ گول پٹر گرتھ ترٕوتر ہیٚوٚہ اکھ وٕسنۍ گاسہٕ یتھ نَل زیوٗٹھ چھُ آسان۔

کالیج:- [ن۔مؤل: کالیج <اَنگ: کالیج College] تألیمی ادارٕ یتھ منٛز تھٔز تألیم یا ٹرینِنگ دِنہٕ یوان چھےٚ۔

کالجیٹ:- [مؤل: کالجیٹ <اَنگ: کالجیٹ Collegate]۔ کالیج پرن وول۔

کالچِن:- [ن۔مؤل: کالچِن <س: کالیہ]۔ شامن بأگر، دوہ لوسنہٕ پتہٕ۔

کالچِن بأگر:- شامہٕ لٕہ۔

کالچٕنۍ:- وِچھِو "کالچِن بأگر"۔

کالرا:- [مؤل: کالرا <اَنگ: کالرا Cholera] وبا یتھ منٛز دستہٕ کُسیانہٕ لگان چھِ۔

کام:- [ن۔مؤل: کام <س: کامہ]۔ ا۔ شہوتھ۔ جنسی خأہش۔ ۲۔ مٔنی۔

کام کرٕوٗد:- کام تہٕ کرٕوٗد۔ جنسی خأہش تہٕ ژٕکھ۔

کامِل:- ا۔ وِچھِو "کامبلِ اِ"۔ ۲۔ وِچھِو "کامبےٚ"

کامَن اِ:- وبٕھے، کٔمی، سختی۔

کامَن کرٕنۍ:- رٔوٹ کرُن، سختی کرٕنۍ، کُن نہٕ نیرنہٕ دِیُن، کینٛہہ نہٕ کرنہٕ دِیُن۔

کامَن گرٕھنۍ:- سختی گرٕھنۍ، رٔوٹ گرٕھن۔ کلہٕ مِہرنس نہٕ وارروزُن۔

کامَن ۲:-[م۔مؤل: کامن <س: کامنا]۔پژے۔
کل۔ماے۔م:مَنہ کامَن۔

کامہِ دِہن:-[م۔مؤل: کامہِ دِہن <س: کامہ دھینہ]
ا۔ گاو، سو گاو یُس یہ منگو زِتہٕ پراُوی زِ۔
۲۔(ورگہ پاٹھی)۔گاوماجہ ہِش شریف زنانہٕ۔

کامہِ دیو:-[ن۔مؤل: کامہِ دیو <س: کامہ دیو]۔
مَدن۔عشقُک دِوتا۔

کامبل:-[م۔مؤل: کامبل <س: کامَلہ]یرقان۔
کزیٖہنہٕ ماز چ اکھ بمارۍ یتھ منز اُچھن تہٕ
ژمہٕ لیٖدر یا رپھیران چھُ۔

کامبےا:-وِچھو" کامبل"۔

کامبے کرنی:-کامبہٕ بمارِ ہُند شکار گژھن۔
کامبہٕ سبہٕ لیٖدر یا رپھیرُن۔

کامبے گژھنی:-وِچھو" کامبے کرنی"۔

کامبہٕ لَد:-یُس کامبل آسہِ۔

کامبے۲:-[م۔مؤل: کامبے <س: کامپلیہ]۔اَکھ
بوٗٹۍ۔اَکھ وُسنی کچھ ذاتھ یوسہٕ دَوہس لگان چھےٚ۔

کامبہٕ بٹول:-کامبہٕ کُلیک پھَل یا دانہٕ یُس شیرس تہٕ
شَرَبَتس بیٚتر ترٛاونہٕ چھُ یوان۔

کامبہٕ رَس:-کامبہٕ دُتھرن بیٚترِ کڈنہٕ آمُت۔شیرِ یُس
دَوہس لگان چھُ۔

کامبر:-[م۔مؤل: کامبر <س: کنٛیارکہ]۔ا۔اَشدِ
گٹہٕ پچھ، جوتشہٕ مُوجوب سہٕ وَق ییٚلہٕ سرٛی یہٕ کنہٕ
راشہٕ منٛز آسہِ۔۲۔ربیع فصل وَونُک زیٚٹھ واپھ۔
۳۔رؤدیُس اَشدس منٛز پیٚیہٕ۔

کامبرۍ پچھ:-سیٚنٛد ہُند شرٛاد پچھ یُس اَشدِ گٹہٕ
پچھس آسان چھُ۔

کامبرۍ شرٛاد:-ئہرِ شرٛادِ علاوٕ سہٕ شرٛاد یُس مورِ دِس
کامبرۍ پچھس منٛز ہاونہٕ یوان چھُ۔

کامبرۍ کاہ:-سہٕ رؤدیُس اَشدس منٛز پیٚیہٕ تہٕ یتھ
منٛز ربیع فصل زِٹھی ہِن وَونہٕ۔

کامبر پیٚنی:-اَشدِ نِس رتس رؤد پیٚنہٕ ستۍ زمینس
کاہ گژھن۔

کامران:-[مؤل۔کامران <ف: کامران]۔کامیاب،
ییٚمۍ جیٚتھ پرٛاوِمٕژ آسہِ۔

کامرانی:-[<ف: کامرانی] کامیأبی،جیٚتھ۔

کامگار:-[ن۔مؤل: کامگار <س: کرمہ+کار]۔
موٗزوٗر،یُس اَتھو ستۍ کأم کران آسہِ۔

کامنا:-[م۔مؤل: کامنا <س: کامنا]۔یژھ،خاہش،کل۔

کامنی:-[م۔مؤل: کامنی <س: کامنی]۔شکیل زنانہٕ،
سوزنانہٕ یوسہٕ مأرۍ منٛز آسہِ۔

کامیاب:-[مؤل: کامیاب <ف: کامیاب]۔ییٚمۍ
کینٛہہ پرٛوومُت آسہِ۔یُس مقصد وژامُت یا
بامُراد آمُت آسہِ۔

کامیاب قرار دین:-کُنہِ مُقابلس منٛز (کانٛہہ زِدِن)
زینن وول آسنُک اعلان کرُن۔

کامیاب کرُن:-مُدا یا مقصد بامَل اَنٛنُس منٛز (کأنٛسہِ) اَتھِ روٗٹ کرُن۔ زینہ ناوُن۔

کامیاب گژھُن ، سپدُن:-مقصد یا مُدا بامَل یُن۔

کامیأبی:-[م۔مؤل: کامیأبی <ف: کامیأبی]۔ بامَل ییٚنۍ حالتھ، کینٛہہ پزاونۍ حالتھ۔ سدتھ۔

کامیأبی پزاوٕنۍ:-کامیأبی حاصِل کرٕنۍ۔ فتح لبنۍ۔

کان ا:-[ن۔مؤل: کان <س: کانڈ]۔ تیٖر یُس لاینہِ چھُ یوان۔

کانہٕ پھَل:-تیٖرُک پیوٗت یا تیوٗنٛت یُس شستٕرُ چھُ آسان۔

کانہٕ ڈَگ:-تیوٗت دوٗر ییٚتہِ تام تیٖر واتہِ۔ تیٖرُک کش۔

کانہٕ ڈَگ ہیوٗہ پکُن:-(ورگہِ) سُہ یُس سیٚدٕ سیوٗد تیز پکان آسہِ۔ تیٖرکہِ پأٹھۍ پکن وول۔

کانہٕ نور:-سُہ نور ییٚتھ منٛز تیٖر چھُ تھونہٕ یوان۔

کان برُن:-(آے کرنہٕ باپتھ) تیٖر کمانہِ منٛز تھوُن، تیٖر کمانہِ منٛز لاگتھ تھوُن۔

کان تارُن:-کشہِ سان تیٖر لایُن۔ تیتھٕ پأٹھۍ تیٖر لایُن یِتھ تُرتھ گژھِ۔

کان لایُن:-کش کڈِتھ تیٖر لایُن۔ زورٕ تیٖر چلاوُن۔

کان ہنۍ:-۱۔ تیٖر ہنۍ، تیٖر وٕستۍ رَتہٕ دأدۍ گوٚژھُن۔ ۲۔ تیتھٕ کتھہِ یموٕستۍ زٕدۍ گوٚژھُن۔

کان ۲:-[م۔مؤل: کان <ف: کان]۔ سو جاے ییٚتِھ زمینہِ ہیٚتر منٛز داتھ نیران آسہِ۔

کان نیرٕنۍ:-۱۔ زمینہِ ہیٚتر منٛز داتھ یا تیٖل نیرُن۔ ۲۔ (ورگہِ پأٹھۍ) سٕبیل ہٕنۍ۔ ذٕرۍ یہِ اَتھِ یُن۔ وَتھ نیرٕنۍ۔

کأنۍ ہُند:-جان زأژھُند، زأژِل (چاروٕے ہیٚتر)۔

کانٛس:-اَکہِ قسمٕچ مور کھہ پٕٹ یوسہِ وارہن ہیٚتر پیٚٹھۍ مہِ پاسہِ لاگان چھِ۔

کانٛر:-لوگُٹ ہیٚر ہیٚترِ کون۔ م: ہیٚر کانٛرِ، ووٚنہ کانٛرِ۔

کانہٕ ہیٚر:-أمی زمینہِ ڈوٗرٕ حِصہٕ ہیٚتر کرنہٕ موکھ منٛز سُمٕ ہیٚر۔

کانٛج:-[م۔مؤل: کانٛج <س: کانڈ]۔ ۱۔ راٹھ، کچھ، پوکھرٕ چ یا گاسٕچ زٕ ہٹھ لٔنڈ۔ ۲۔ وٕسٕچ یا گیٚہنٛچ تار۔

کانٛج ترٕ کرٕنۍ:-داہن ہیٚترِ بَستہِ منٛز ہیوٗل بَنٕنہِ لگُن۔

کانٛج کڈٕنۍ:-اَکہِ کُلِس، راز مہادو پہَس ہیٚتر زأوِج راٹھ نیرٕنۍ (یوسہِ ڈَکھس ہیٚترِ وَلنہِ چھےٚ یوان)۔

کانٛج کھسٕنۍ:-رأٹھ دار لٔنڈ نیرِتھ ڈَکھس ہیٚترِ اَلأٹرٕ گوٚژھٕنۍ۔ تازٕ ہر نیرُن۔

کانٛج گژھٕنۍ:-داں ڈَکھس رَے گژھنہِ کٕنۍ نَل اَژھُن تہٕ پھُٹِتھ یُن۔ ۲۔ ہوکھہِ رَے اَژُن۔ زُوزہتہِ نہٕ روزُن، ہوکھُن۔

کانٛج نیرٕنۍ:-۱۔ تیٖج نیرٕنۍ۔ لٔنڈ نیرٕنۍ، ہر نیرُن۔ ۲۔ رِشتہٕ بڈُن۔

کانٛج وٕسٕنۍ:-داں ڈَکھس ہیٚترِ بمارِ سٕتۍ ہیوٗل پھٹِتھ یُن۔

کانٛجہِ تُلنہِ:-(ورگہِ) سٕچ چوب دِنۍ۔ دُم تُلُن۔

کانٛجہِ کڈنہِ:-(ورگہِ) چھٕنۍ راوُن۔ پھُنٛگ ٹٕلنۍ۔

سَنٛ وَلنہٕ یُن۔مِ:تَس کجہ بمارِ کانٛجہ۔

کانٛجہِ نیرنہِ:--بمارَس بیترِ کمزوٗری یا پھِٹِتھ پینہٕ سٟتۍ أڈۍ جہ ترٕنہٕ نیرنہِ۔میجہِتھ لگنہٕ کِنۍ لوٗسِتھ پیوٚن۔

کانہٕ وال:--[ن۔مؤل: کانہٕ وال<س: کانٛڈ+وال]۔ ا۔بادام یا ڈوٗنۍ چھانٛتھ کانٛسہٕ ہُند دُبارٕ گُلس بیترِ کھسُن تہٕ پتہٕ گُن روٗدۍ سٟتۍ ڈوٗنۍ یا بادام والنۍ یا سوٚمبرٕنۍ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) پتہٕ گُن روٗدۍ سٟتۍ کینہہ ژنۍ۔

کانٛٹھ ا:--[ن۔مؤل: کانٛٹھ<س: کانٹھہ]سُہ ہاکھ یُس پٔتۍ مہِ وٗرۍ یہٕ چھِن ہاکھ موجن سوٗتھ کالہٕ یوان چھُ۔

کاٹٛھی موٚنڈ:--زمینس منٛز أتۍ تھاونہٕ آمُت سو موٚنڈ یتھ سوٗتھ کالہٕ ژٔوۍ بُرگ نیران چھِ۔

کاٹٛھی ہاکھ:--وُچھو ''کانٛٹھ''

کانٛٹھ ۲:--[ن۔مؤل: کانٛٹھ<س: کانڈ]۔سُہ کوٚٹ یُس اورٕ یورٕ ترٕنہٕ باپتھ کُنہِ کولہٕ یا نالس بیترِ اکہِ دَنٛدٕ پیٹھہٕ بیٚیس دٕنٛدس نام تراونہٕ آسہِ آمُت، سُہ کوٚٹ یُس کٔرلس فرشس تلہٕ اپارِ یپور ٹھٹھٕ بن پیٹھہٕ ترٕاونہٕ آسہِ آمُت۔

کانُن:--[<س: کانہَ]۔ا۔کون گژھُن۔۲۔سرٕ و بند گژھُن۔۳۔ژھوگُن (آب بیترِ)۔۴۔کھوٚٹ گژھُن۔۵۔کھوتھ گژھُن۔

کانبر:--[<س: کانہ+ار]۔کون آسنٛچ حالتھ۔

ہ-کانبل:--[<وُچھو۔کانٛی]۔أکھ ہیٚو کانہِ پیٹھ۔ یُس زِیادٕ ژوٗزبتہٕ آسہِ تہٕ، یُس باڈوٕ کِنۍ لوٗٹ آسہِ، م:اوک کانبل۔

کانٛتیاینی:--[م۔مؤل: کانتیاینی <س: کاتیاینی] پاروٗتی ہُنٛد أکھ ناو۔

کانٹھہٕ:--وُچھو ''کانٛٹھہٕ''۔

کانٛجہِ تھٔرٕ:--[م۔مؤل: کانٛجہِ تھٔرٕ<س: کانٛڈ]أکھ رأٹھ دار گاسہٕ یتھ رأٹھ کأنۍ زیٚچھ چھےٚ گژھان۔

کانٛجہِ رَے:--[ن۔مؤل: کانٛجہِ رَے<س: کانڈ]۔ رَے بمارِ ہُند أکھ قِسم ییٚمہِ سٟتۍ فصلس نل پھُٹِتھ چھُ یوان۔

کانٛجہِ گژھُن:--دودس ژوکنہٕ کِنۍ کھٔنڈ الگ گوٚژھنۍ تہٕ پوٚنۍ الگ گژھُن۔بانہٕ دودس ژوٗرٕ شیر بیترِ لگنہٕ کِنۍ دَجہٕ ہشہٕ گژھنہٕ۔

کانٛچھ:--[م۔مؤل: کانٛچھ<س: کانکشا]امار، ابلاش۔ تمنا۔یژھ۔کانکھیا۔

کانٛچھُن:--[ن۔مؤل: کانٛچھ<س: کانکشنم]۔یژھُن۔ منگُن۔وبٕنڈرُن۔

کانڈُر ا:--[ن۔مؤل: کانڈر<س: کند+کر]۔توٚنڈرٕ تاوَن وول۔ژوچہِ بناون وول۔(طایفہٕ دَر)۔

کانٛڈرٕ ہاے:--کانڈرٕ سنٛز زنانہٕ۔۲۔کانڈرینۍ۔

کانٛڈرٕ کار:--ژوچہِ بناونٕچ یا کٔنٛج کام۔کانڈرٕ سُنٛد پیشہٕ۔

کانٛڈرٕ وان:--ا۔سو جاے ییٚتیٚن ژوچہِ تھٔرنہٕ توٚندرس منٛز بَرنہٕ چھےٚ یوان۔کانٛڈرٕ سُنٛد کارخانہٕ۔۲۔توٚنڈوٗر

ـتوٗندرِ ٣ـسہٕ دُکان یَتھ پیٹھ ژوچہِ کٔننہٕ یِوان چھِ ـ

کانٛڈرِ واپَچ ژٔوٹ:ـتوٗندرٕس منٛز پینہٕ آمٕژ ژٔوٹ ـکانٛدرٕس نشہِ مولی ہیٚژمٕژ ژٔوٹ ـ

کانٛدرٕنی:ـسوزنانہٕ یوسہٕ کانٛدر کارکرِان آسہِ ـ

کانٛدرُ٢:ـ[ن ـمؤل: کانٛدر <س: کنٛدُ]ـ میٚژ وبڈٕ مٹ یالوپُن یَتھ منٛز پھَل بیتر تھوٗنہٕ چھُ یِوان ـ

کانٛڈ١:ـ[ن ـمؤل: کانٛڈ <س: کانٛڈ] ـ١ـ ألی شہٕ ہُنٛد تلہِ گوگُلک یامکلیہِ بیترِ ہُنٛد ہوٚکھ گاسہٕ ـ٢ـ لوٗژھر ـ

کانٛڈ بور:ـ[ن ـمؤل: کانٛڈ بار]ـ لوویا لوٗژھر گنٛڈِتھ واریاہ کانٛڈ ـتیٚوت کانٛڈ یَتھ اَکھ زٕون نکھ ہیٚکہِ دِتھ ـ

کانٛڈلوٗژھر:ـلوگُٹ کانٛڈ بور ـ

کانٛڈ٢:ـ[ن ـمؤل: کانٛڈ <س: کانٛڈ]ـ کتابہِ ہُنٛد باب، سبَق ـ

کانژُن:ـ ڈٔوٚنس گولُر ہوژُن ـ ڈٔوٚن تلہِ نُن ـ

کانژُل:ـ[ن ـمؤل: کانژُل]ـ سہٕ ڈٔوٚن یَتھ گولُر ہوٚتمُت آسہِ یا گوجہِ تلہِ نے مژٕ آسُن ـ

کانژھ:ـ[ن ـمؤل: کانژھ <س: کانٛڈ]ـ سہٕ گُرتھ لَٹہِ یٚمہِ سٟتی دانٛکو تہٕری تہٕ گٔیِن بیترِ دگان چھِ ـ

کانژھا:ـ[<س: کِشچَنہٕ]ـ کانٛہہ زٕون یا زٕ ـاَدِ یُس آسہِ تہٕ سُہ ـ

کانژھامٔو دیو کینژھا رٔو دیو:ـ تہٕ دِتھ گوکانٛسہِ ہنٛدِس جادادس اُس ؤہرتھ روزُن، ذِکرُ دِتہٕ اَچھ تہٕ جادادشرٕ وپہم ـ

کانفرٕنس:ـ[ن ـمؤل: کانفرنس <اَنگ: کانفرنس Conference]ـ اِجلاس ـمَشورٕ بیترِ کرنہٕ باپتھ بُلاونہٕ آمتین نُمایندن ہُنٛد اَکِس جایہِ سُمُن ـ

کانٛگر:ـ[م ـمؤل: کانٛگر <: گنگ لفظُک ژھوٚٹُر <س: کاگنہِ]ـ کانٛوِ سٟتی وۄنتھ تہٕ وٕلتھ تھپہِ دار کتریو کونٛڈُل یَتھ منٛز نارتَپان چھِ ـ

کانٛگر تَپُنی:ـوُشنیر کرنہٕ باپتھ کانٛگر بَیِس منٛز تھاوٕنی ـ کانٛگرِ سٟتی پان وُشناوُن ـ

کانٛگر ٹھاسُنی:ـ١ـ کانٛگر بٔرتھ دِنی ـ٢ـ کانٛگر چلاوِتھ پھُسرِ والنہِ ـ کانٛگر لگاوِتھ چھوکہٕ لد کرُن ـ

کانٛگر چلاوٕنی:ـکانٛگری والٕنی ـکانٛسہِ وۄہہ دِنی کانٛگر لاسُنی ـ

کانٛگر چھاوٕنی:ـوِچھو" کانٛگر چلاوٕنی" ـ

کانٛگر لاسُنی:ـوِچھو" کانٛگر چلاوٕنی" ـ

کانٛگر والٕنی:ـ کانٛگرِ سٟتی حملہٕ کرُن ـ کانٛگر چھاوٕنی ـ

کانٛگرِ جوش:ـپان وُشناوُنہٕ باپتھ کمہِ کالس کانٛگر تَپُنی ـ کانٛگرِ وُشنیر ـ

کانٛگرِ کانہٕ:ـتمہِ خاص قسمہِ چہِ کانہٕ یِمہٕ کانٛگرِ وونُس لگان چھےٚ ـ

کانٛگرِ کونٛڈُل:ـسہٕ ڈٔبہِ دارٹوبرٕ ہیٚوٕ کتر بانہٕ یَتھ پیٹھ (کانٛگرِ کانٛہن ہُنٛد) کروۄنتھ چھُ آسان ـ

کانٛگرِ کھور:ـکانٛگرِ ہُنٛد کونٛڈلہِ پیٹھ وۄنتھ کانٛوِ کر ـ

کانٛگرِ کھوپر:ـپھُٹمُت کانٛگر، سوکانٛگر یَتھ کوپ بیترِ

ٹھیکھ آسہِ نہٕ۔

کانگرِ وُشنیر:- کمہِ کانس کانگر تپنٕی۔ کانگرِ ستۍ موموٗلی وُشنیر کرُن۔ کانگرِ جوش۔

کانگہِ گوٗر:- [ن۔موٗل: کانگہِ گار]۔ آبس منٛز بوٗن والین گارہن ہُند اکھ قسم یتھ زٕ ٹھی گنٛڈی تہٕ گنٛڈ موٗٹ چھےٚ آسان۔

کانٛگُل ۱:- [ن۔موٗل: کانٛگل ] یارہن بیترِ ہُند ہَر ہانٛگل یُس پرٕ پرٕ گرِتھ دزان چھُ۔

کانٛگُل ۲:- [ن۔موٗل: کانٛگل ]۔ توہ یا مش یوسہٕ اَنا جس پیٹھ چھےٚ آسان۔

کانٛگلُن:- ٹانٛٹہِ رکلم۔ سہٕ رکلم یُس کاریس پشپان چھُ۔

کانہہ:- [<س: کہہ]۔ اَکھ نَتہٕ بیاکھ۔ کانٛژھا۔

کانہہ اَکھ:- کانہہ انسان۔ کانہہ زٕون یا زٕنی۔

کانہہ اَکھا:- وار یاہو منٛز کانٛژھا۔

کانہہ تہٕ:- ا۔ پرٕتھ کانہہ۔ یُس یُسہٕ۔ ۲۔ اَکھ نے تہٕ بیاکھ۔

کانہہ کانہہ:- ساری نہٕ۔ منٛزی کانٛژھا۔ خال کانہہ۔

کانٛیُل:- [ن۔موٗل: کانٛل <س: کانٛڈ+اُل]۔ کانہِ کأم کرن وول۔ سہٕ کأری گرُیُس پھوٗتی کانگرِ بیترِ وونان آسہِ۔

کانٛیُو:- [ن۔موٗل: کانو <س: کانٛڈ]۔ کانہن ہُند وٗنمت۔ کانہن ہُند بنٛیومُت۔

کاو:- [ن۔موٗل: کاو <س: کاکہ]۔ (یٔژپأٹھی) کرٛہنہِ تیرٕ گرِتھ اَکھ وُپھ وُن جانا وار یُس ٹاو ٹاو کران چھُ۔

کاوِ اَشُد:- [ن۔موٗل: کاوِ اَشُد <س: کاکہ+اَوشَدھ] اَکھ بوٗٹی یُس کھبنہٕ ستۍ نیٛنڈِ رچھےٚ کھسان۔

کاوِ بور:- اَکھ اَکس پیٹھ تھٲوِتھ بنومُت بۆڈ بور یُس نہٕ وُنہٕ زیادٕ وُہرتھ آسہِ۔

کاوِ پتُل:- لورِ پیٹھ ووٗنی ہرٕ تزٕ کوٗل لو کٹ ژاٗ نگج ہش یتھ پیٹھ کاو پنٛنم دوہہِ بتہٕ کاوس بوگ چھ تھوان۔

کاوِ پکھ:- [م۔موٗل: کاوِ پکھ]۔ <س: کاکہ پکشہ]۔ ا۔ یہِ چھِ تتھ چیزس بیترِ ونان یُس بلکل کرٛہُن آسہِ۔ ۲۔ کاوِ شُپھو ستۍ گنٛدنہٕ یِنہٕ واجنٛۍ اَکھ کھیل۔ اکہِ قسمُک زار۔ ۳۔ سُمہِ ہنٛدہن دون طَرفن ہنٛدی زمَس لٔگ۔

کاوِ پنٛنم:- ماگہٕ زٕونہٕ پچھِ پنٛنم یمہٕ دوہہِ بتہٕ کاوَس بوگ چھِ تھاوان۔

کاوِ پوٗت:- ا۔ کاو بچہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) ٹیٛگ تہٕ کمزور شُر۔

کاوِ پوٗری:- (ورگہٕ) شپتس منٛز پٔدی وَتہٕ ہنٛدی نِشانہٕ، پٔدی وَتھ یوسہٕ گُڈ نشانہٕ آسنہٕ کِنۍ شپتس منٛز بدنیر۔

کاوِ پیوٗنژ:- [ن۔موٗل: کاوِ پیٛنژ]۔ اَکھ وُسنۍ گاسہٕ یتھ زنٛڈ ہیوٗ ہنان چھُ تہٕ نکی نکی وُتھر چھِ نیران۔

کاوِ دَچھ:- [م۔موٗل: کاوِ دَچھ۔ کاکہ/کاپوتہٕ+

دڑاکشا] تم کِنکہٕ پھٔلی چالہِ کرٕ یِنٛز دانہٕ یم کاوِ دَچھِ زَنٛڈس نیران چھِ۔

کاوِ دَچھ زَنٛڈ:۔سُہ وٕسنٕ زَنٛڈ یَتھ کاوِ دَچھ پوان چھےٚ۔

کاوِ دِنہٕ:۔[ل۔م: کاوِ ہِنٛدی پأٹھی دولہٕ وِچھُن]۔تہِ ڈُپتھ ژوٗرِ نظرِ دِنہٕ،شکہٕ چونظر وِچھُن۔

کاوِ ڈوٗنی:۔تم ڈوٗنی یم کُلہِ پیٹھ پانے وٕسی پیٚن۔ ژھوٗژ ڈوٗنی۔

کاوِ ژھیوٗٹ:۔سُہ موٗ ہیٚتر یَتھ کاوَن دِگہٕ آسَن دِژہمٕژ یا کھوٗمُت آسِن۔دِگہِ لدٕ موٗ ہیٚتر۔

کاوِ ہِنٛدی پأٹھی توٗنتھ دودرٕ نی:۔تہِ ڈُپتھ گو وأنٛسُتھ اُستھ تہٕ دوہ دِوہ کڑُن۔

کاوِ شُپ:۔شُپی شکلہِ اکہِ قسمٕچ ہأنٛگنی۔

کاوِ شُپر:۔وِچھِو "کاوِ شُپ"۔

کاوِ شُرنی:۔[م۔مؤل: کاوِ شُرنی] اَکھ وٕسنٕ جنٛگلی گُل۔

کاوِ قُمیر:۔اَکِس وُپھِ وِنس جاناوارِ سُنٛد ناو۔

کاوِ کیٚتر:۔کرٕ ہنہٕ رَنٛگہٕ کیٚتر۔اکہِ خاص قسمٕچ کیٚتر۔

کاوِ کَن:۔یِتھی کن یم لوٗژ کھوتہٕ لوٗژ آوازتہٕ بوزَن۔ تیز کنہٕ بَل،ہُشاری۔

کاوِ کن آسنی:۔ہُشار آسُن۔

کاوِ کاو:۔اَکہِ اَکہِ وار یاہ لوٗکھ سمنی۔وارٕ وارٕ لوٗکہ اَرساتھ سمُن۔

کاوِ کُنی:۔[م۔مؤل: کاوِ کنی]۔کرٕ ہنہٕ رَنٛگہٕ کُنی۔

کاوِ کوڈُر:۔اَکھ داں ذاتھ یَتھ ووزٕ لی توملہٕ پھٔلی نیران چھِ۔

کاوِ گاٹُل:۔سُہ یَس گاٹہِ جار آسِہ اما پوٗز بٔلی آسِہ گاٹہٕ جارٕ کرٕ دَم دِوان۔کاُ کر۔

کاوِ لأر:۔اَکھ داں ذاتھ یَتھ زاگ توٗمُل نیران چھُ۔

کاونہِ آلہِ کڈُن:۔تَتہٕ کڈُن یوٗت سَہل سَہل کانٛہہ وأتِتھ ہیکہِ نہٕ۔ژوٗرِ کھوتہٕ منٛزٕ کڈُن۔

کاوِ نہٕ گوجہِ:۔یہ کینٛژھا چھکرِتھ تہٕ ڈٔہرِتھ آسہِ۔یَتھ نہٕ کانٛہہ ترتیب آسہِ۔

کاوِ نہٕ گوجہِ گرٕ ھنہٕ:۔آورِوارِ گرٕ ھن،کُنہِ وَتہٕ نہٕ لَگُن۔چھلہِ چھانٛگرِ گرٕ ھن۔

کاوِ ہأنٛٹھ:۔سو (زنانہٕ) یوسہٕ اَکُے پیٚن دِیہِ۔

کاوِ ییٚنہِ وول:۔ا۔کاوَن ہُنٛد دوٚہَس پھیٚرتھ تھوٚرِتھ یِکہِ وَٹہِ ٹھکانَس کُن رَوانہٕ سپدُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ژٕری گیٚش ہیٚتر یُس ژٕرِس کأرس روزِنہٕ۔۳۔یہ ڈُنی آسہِ تہٕ ڈُنی آسہِ نہٕ،یہ روزٕ وُن آسہِ نہٕ۔۴۔کینٛژٕ ی کالُک دُمہٕ دام۔

کاوُن اول:۔سو جاے یوٗتتھ سَہل سَہل وأتِتھ ہیکی زِنہٕ۔ژوٗرِ کھوٗت۔

کاوکاو کرُن:۔ا۔کاوِ ہنٛز کاوکاوِ چ آواز کڈٕنی ٹاو ٹاو کرُن۔۲۔ہوٗ ہوٗ وکرُن،ساری نے خبر کرٕ نی، کتھِ واش واش کرُن۔

کأوِ تڑ وومُت:۔(ورگہٕ) یُس ناو ہنس کانٛہہ یہ آسہِ نہٕ۔یَس اِنہٕ پتھ بروٗنٛہہ کانٛہہ آسہِ یا یَتھ

نہٕ کانٛہہ ماٗلِکھ آسہٕ۔

کاوَے:-[مؤل: کاوَے<س: کاکہ+وایہ]۔ کاوٕ سَمت۔ کاوَن ہُنٛد شامَس باٗگ یِکہٕ وَٹہٕ رٕلُن۔

کاوُج:- [ن۔مؤل: کاوج <س: کاپالکہ ]۔ ا۔آور ینہٕ پتھ موردَن داہ دِنہٕ وول پیشہِ وَر۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) ظاٗلِم، بے رحم یُس نہٕ موردس تہٕ پرٛژ۔م:مَلہٕ کھاٗش۔

کاوُر:- [ن۔مؤل: کادر <س: کپوتہ ]۔ کرٕ ینٛہیارٕ سان، کرٕہُن۔

کاوٕر دَچھ:-وَچھہٕ ہُنٛد اَکھ قٕسم یتھ دانہٕ پُتھ کرٕ ینٛہیارٕ سان گرٛ ھان چھہٕ۔

کاووٹٕ:-[ن۔مؤل: کاواٹ<س: کاگ پاد]۔ ا۔زیوٹھ لٔرٕ یتھ بُتھِ کوٗگرِ تھ چھُ آسان۔۲۔مُسودَن منٛز (کاٗوٕ چالہٕ) تراونہٕ یِنہٕ وول اَکھ نِشانہٕ یُس یہِ ہاوان چھُ زِ حرف چھِ تراونہٕ آمٕتۍ۔

کاوُرن ا:-[ن۔مؤل: کادر <س: کاکہ]۔ ہوٗل گرٛھن، ہٕجر گرٛھن، ٹونگر، وَراژُن، وَٹنہٕ یُن۔

کاوُرن ۲:-[ن۔مؤل: کاور<ڈچھو"کاوُر"]۔ کرٕہُن گرٛھن۔رَنٛگ بگرُن۔

کاوریہٕ ا:-[ن۔مؤل: کاوریہٕ<س: کاکہ]۔ وَر، ہٕجر۔

کاوریہٕ ۲:- [ن۔مؤل: کاوریہٕ <ڈچھو"کاور" ]۔ کرٕ ینٛہیار۔رَنٛگ بگڑٕ گرٛھنٕچ حالتھ۔

کاہ ا (کہہ):- [م۔مؤل: کاہ <س: کشہ ]۔ پرٕکھاونہٕ باپتھ کُنہٕ پٹھٕ گس۔کہوٗچہ بیترٕ پٹھٕ گس۔

کاہ دِنۍ:-(سون بیترٕ) کہوٗچہ پٹھ پرٕکھاوُن۔ کہوٗچہ پٹھ وچھُن۔

کاہ ۲(کہہ)-[<س: ایکادَشہ]۔داہ تہٕ اَکھ۔اَکھ دوہ تہٕ اَکھ۔۲۔زوٗنہٕ پچھُک یا گٹہٕ پچھُک کہیم دوہ۔۳۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) فاقہٕ۔(کاٗمتی ہُنٛد)۔ ۵۔ووپس۔

کہَن گاوراوٕنۍ:-تہٕ ذٕ یتھ گوکتھ نہٕ روزٕنۍ اتفاق نہٕ روزُن۔موٗتھ نہٕ روزٕنۍ۔

کہہٕ پاٗنسہٕ گو ردا ٗلی پاو (پینٛز):-تہٕ ذٕ یتھ گو- (کُشدٕ گری لاگنہٕ کنۍ) کانٛہہ چیز پرٕنہٕ پیٛٹھۍ درٛوگ پیوٚن۔سرٛ وٚگے چیز درٛوگ پیوٚن۔

کاہ بَر کاہ کرُن:-یہِ چھُ تولنہٕ وِزِ غلط پاٗٹھٕ تُلنس پٹھٕ وَننہٕ یوان تہٕ ذٕ یتھ گو دوکھ دِیُن، اَبرٕ ے تولُن۔ تارٕنۍ۔

کاہ تہٕ کاہ گیہٕ زِ توٗ ہہ ژوٗچہٕ:-تہٕ ذٕ یتھ گو غرض مَند انسان چھُ پرٛ تھ کتھِ پننے مانے کڈان۔

کاہ دَرٕنۍ:-زوٗنہٕ پچھہٕ یا گٹہٕ پچھ کہٕ کہِ مہٕ دوہہٕ فاقہٕ تھاوُن۔

کاہ راٗتھر:-سُہ دیٛت یُس کورِ مالنۍ طرفہٕ واٗروٕ دَریُگ کانٛہہ زیٛنٛٹھ مرٛنس پٹھ کہہِ مہٕ واتان چھُ۔

کاہ کرٕنۍ:-ا۔کینٛہہ ژھٕنٛٹہٕ یاٗری گوٗھنہٕ پتہٕ فاقہٕ دَرُن یتھ اَمیک اَثر دوٗر گرٛھہ یا ژٔلہٕ۔۲۔اَکہِ قسمُک توبہٕ یا پرٛایشچت کرُن۔

کاہ گبر تہٕ گاہ نبر:۔ تہِ دُپتھ گو پلزِنس کتی سبٹھاہ تہٕ پلزان نہٕ کانٛہہ۔

کاہ گژھنی:۔ ووپس گژھن۔

کاہ گامن ہنٛز باش گژھنی:۔ تہِ دُپتھ گو تہنٛز باش گژھنی یہنٛد کنہِ تھو پتاہ آسہِ نہٕ۔ ہیرٕ وٕنی ناوگژھنی۔

کاہ ناوِک چاے:۔ سو چاے یوسہٕ دسگیر صابنہِ ناوِ کرنہٕ ییہ تہٕ لوکن ییہ بٲگراونہٕ۔

کاہ نوو:۔ دسگیر صاب۔ سُہ یُس کاہ ناو چھہِ۔

کاہ نیتھر:۔ بٹن ہُنٛد اکھ رَسم یُس یژٕ پٲٹھی شُر زینہٕ پتہٕ کُھ مہِ دوہہ پوٗر گژھہِ کرنہٕ یِن۔

کٲش کرنہٕ:۔ فاقہٕ دِنی۔ ووپس کرنی۔

کٲش لد:۔ ا۔ یمی کاہ دُہ ہٕش آسہِ۔ فاقہٕ لد ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھی) بیمار (یُس فاقہٕ دِنہٕ آسہِ آمُت)۔

کاہ۳:۔ [ن۔ مؤل: کاہ]۔ سُہ سرٛیہہ یُس زٕمینس رُؤد پینہٕ یا پوٗنی لدنہٕ ستیٚ گژھہِ۔

کاہ دَرُن:۔ زٕمینس تیٚوٗت سرٛیہہ روزُن یُتھ زَن واینہٕ ہیکہِ نہٕ یِتھ۔ زٕمینس نہٕ ستی چھوو پھیرُن۔

کاہ کرُن:۔ خٲلی زٕمینس سرٛیہہ کرنہٕ موٗجوب پوٗنی لدُن۔

کاہ گژھن:۔ تیٚوٗت آب پیوٗن یا اُژن ییمہِ ستیٚ زٕمینس سرٛیہہ گژھہِ۔

کاہ گوٗب آسُن:۔ زٕمینس ژوٗر سرٛیہہ آسُن۔ زٕمین تیٚوٗت کیوٗن آسُن یُتھ زَن واینہٕ ہیکہِ نہٕ یِتھ۔

کاہ پِر تھ گژھن:۔ زٕمینس نہٕ بل کُل سرٛیہہ روزُن۔ زٕمین تاپہٕ بیترِ ستیٚ ہُکھ گژھن یا روزُن۔

کاہ نیرُن:۔ زٕمینس تیٚوٗت سرٛیہہ نہٕ روزُن یُتھ زَن واینہٕ ییہ۔ (زٕمین) خوشک گژھن۔

کاہ۴:۔ [م۔ مؤل: کاہ > ؟ س: کرٛش]۔ ا۔ سُہ دالہٕ دوو یُس واتل دالس ژور ژٕ ستیٚ کڈان چھہٕ تہٕ امہِ ستیٚ چھہٕ کھور بانہٕ بیترِ سُوان۔ ۲۔ شیٚی ووینس بکار ینہٕ وول کٹہٕ بَستہٕ کوٚ ڈمُت پَن ہیُو۔

کاہ تارٕنی:۔ (دالہٕ) داوِ ستیٚ کھور بانہٕ بیترِ سُونی۔ کہِہ ستیٚ ٹیب دِنی۔

کاہ دِنہٕ:۔ (دالہٕ) داوو ستیٚ زیٚچھ زیٚچھ ٹیبہٕ دِنہٕ۔ بےٚ شوٗب تہٕ دوٗر دوٗر ٹیبہٕ دِنہٕ۔

کاہ کڈٕنی:۔ واتل ژور ژٕ ستیٚ دالہٕ یا بَستہٕ کپٹاوِتھ تتھ داو کڈنہٕ۔

کاے، کایا:۔ [م۔ مؤل: کایا > س: کایا]۔ جِسم، موٗر۔ شریر۔

کایُر۱:۔ [ن۔ مؤل: کایر > س: کایہٕ + اُر]۔ اکھ جنگلی کُل ییٚژ لُکر تامبرس بیترِ لگان چھےٚ اَتھ چھُ سرٛشنہٕ ہیُو پَن آسان۔ یٲر۔

کایُر نار:۔ ا۔ یارِ زِنیگ سُہ نار یُس نہٕ ژٕرِس کالس دَران چھُ۔ ۲۔ (ورگہٕ) بےٚ وَفا۔

کایِرِ ژٕنہٕ:۔ ا۔ کایُر دار زٲلتھ بناوِمژٕ ژٕنہٕ۔

۲۔(ورگہِ پأٹھی) تمہِ ژٕنہٕ یمہٕ نہٕ زٕوٕن۔

کایُرٕ۲:۔[ن۔مؤل: کایر<پرٛاکرت۔کایَر<س: کاتَر]
۲۔آلَرٛژی،کایَن لَد۔

کایَن :۔آلَرٛژی لاگُن، کامہِ ژٕوٗر لاگُن۔تیٚژ کأم نہٕ کرٕنی پیٚژ کرٕنی پیٚزٕ ہے۔

کایَن لَد :۔آلَرٛژی۔کامہِ ژٕوٗر۔

کایُرن :۔[<وُچھو"کایُر"۲]۔آلَرٛژی بَنُن،کامہِ ژٕوٗر بَنُن،کأم کارکرنس عادَتھ نہٕ روزُن۔

کاییر:۔[وُچھو"کایُرٕ۲"] آلَرٛژی آسنٕچ حالتھ کامہِ ژٕوٗر آسنٕچ حالتھ۔

کُتج :۔[م۔مؤل: کُتج]۔ژٕرِ کھوتہٕ بوٚڈ پہن کرٕ یُہنہِ رَنگہِ جاناوارِ یُس سُلہِ سوٗنتہٕ کشیر یتھ ہُر دسوٗر ؤن نیران چھُ۔ابابیل۔

کُتجہ اول :۔(ورگہِ) یتھ کسابَس ونان یُس تھوٚد آسہِ گنڈنہٕ یوان۔

کُتیرٕ :۔[ن۔مؤل: کُتیرٕ<مُ،ہ: کتیرا]۔اکہِ قسمُک گونڈ یُس ہو کھنأوِتھ تہٕ پہتھ دوا کنہِ لگان چھُ۔

کُتھر :۔[ن۔مؤل: کُتھر]۔یُس نچوٚی سِندی پأٹھی ٹوٚٹھ آسہِ۔م: ہرِدگرُس کُتھرس تہٕ ونٛدگرُس شُتھرس۔

کُتھی کُچھے/کوٚتھی کُچھے :۔[<پرٛاکرت: کوتِ تھلَہ+ کوشٹکہ]۔رَشوٕ ہیترِ پلناونس کیٚت مُنزیم۔سُہ شخص یُس کأنسہِ افسرس ہیترِ دوٚیمین ہندِ طرفہِ ٹھیکہٕ واتناوِ۔

کُٹ ا:۔[م۔مؤل: کُچ]۔لوٚکُٹ کوٗر۔لڑکی۔

کُٹ۲:۔وُچھو"کرٕٹ"۔م: پیپنہٕ کُٹ۔

کُٹ۳(کُٹھ):۔[م۔مؤل: کُٹ<س: کُٹہ]۔گُلس پیٹھ کھورمُت پَن یا گاسہِ۔

کُٹھیش :۔وُچھو"کُٹھ کوٗش"۔

کُثیف :۔[مؤل: کُثیف<ع: کثیف]۔ا۔گنٛد۔مَل گُت۔۲۔رٔذیل،بَدذاتھ۔

کَچُل :۔[<ہ: کچّا]۔خأمی۔تجربہٕ نہٕ آسُن۔ناوأقفیتھ، اَزانبر۔

کُچھیری :۔[م۔مؤل: کُچھیری<ہ: کچہری]۔ا۔عدالتھ۔سو جاے یتہِ نیایَن ہیترِ ہُند قونوٗنی فأصلہٕ کرنہٕ یوان چھُ۔۲۔(ورگہِ پأٹھی) سو جاے یتہِ سبٲہ کتھ کتھ آسہِ گژھان۔۳۔پنچایتھ۔۴۔دَل واتُل۔

کچھیر بن کھسُن :۔عدالتھ وانن لگُن۔مُقدمہٕ بأزی کرٕنی۔مُقدمہٕ مُقدمہٕ لگُن،نیاے زٕتھُن۔
۲۔(ورگہِ پأٹھی) بدنام گژھُن،لوٗکن نِشہِ اَتھٕ رَنہٕ گُنزرنہٕ یُن۔

کچھیری لاگنی :۔ا۔عدالتھ لاگنی،پرٛژھ گأر کرٕنی۔۲۔نیاے لاگُن،ہنگامہٕ تُلُن۔دَل واتُل لاگُن۔

کُچھل ا:۔[وُچھو کچھ]۔اَکھ جنگلی گُل۔بدٕ لیٚکھ اَکھ قسم یتھ کچھ واہرأوِتھ چھُ آسان۔

کُچھل۲:۔[ن۔مؤل: کُچھل<پرٛاکرت: کچھ+اَل] سُہ زمین یتھ ژٕوٗر کاہ آسہِ تہٕ یُژھ پأٹھی آسبس

کچھتہٕ گاسہٕ یوان۔

کُچھو:-[ن۔مؤل: کُچھو < س: کچ چھپَ]۔اَکھ جانور یُس یۄتہٕ پاٹھی پانس منز روزان چھُ۔اَمِس چھُ کمبرس پیٹھ مۄٹ تہٕ دۄر کھۄر وۄپ ہیوٚہ آسان۔

کٔڈِل:-[ن۔مؤل: کٔڈِل < س: گلیا + دارو]۔سُم۔ ڈری یا وس بیترِ اَپارِ یپور تارنہٕ آمُت تھٕنبن یا ہانکلن پیٹھ فَرِش یِیمہِ پیٹھ ؤن گژھن چھُ روزان۔

کٔڈِل تارُن:-ا۔کٔڈِل دیُن۔کٔڈِل تامیر کرُن۔ کٔڈِل بناوُن۔۲۔دون میٚل کرُن۔

کٔڈِل دیُن:-ا۔کٔڈِل تامیر کرُن۔سُم تارُن۔۲۔دون دربن اَتھٕ واس کُرتھ دیُن۔رِشتہٕ قایم کرُن۔

کٔڈِل ژٹُن:-ا۔(ورگہٕ) بروٚنٹھ پکنس نہٕ وَتھ تھاوٕنۍ۔بروٚنہہ پکنس رُکاوٹھ کرٕنۍ۔وَتہٕ کون کرُن۔۲۔(ورگہٕ) دون دربن منز پھاس تراوُن۔قایم گامتس رِشتس ٹھکھ دیُن۔

کٔڈِل ہش نَس:-زٕ ہٹھ تہٕ تھۆزنَس۔شۆبہٕ ونِنَس۔

کٔڈلہٕ اون:-(ورگہٕ) خودغرض انسان یُس صرف پننس فرضس ستۍ کٲم آسہِ تہٕ باقین ہُند سوچھنہٕ زِتِمن کیاہ بنہِ۔غرض اون۔

کٔڈلہٕ بَل:-سو جاے یِتھین ڈری یاوس کٔڈِل تارنہٕ آسہِ آمُت۔کٔڈلس نزدیکھ یارِبَل یا گاٹھ۔

کٔڈلہٕ تار:-ا۔کہٕ بٔٹھِ پیٹھ بیٚیس بٔٹھس تَرنہٕ باپتھ کٔڈِل۔۲۔ہارِ یِیمہٕ مہراز بینہٕ والہِ دوہہٕ ہوورِ پیٹھ گرٕ یِوُن گاڈِ وٲلس کٔڈلس ترن وِزِ دِوان چھُ۔

کٔڈلہٕ ٹھوٚٹھ:-دون تھٕنبن ستۍ یا ڈری یاوس منزس کھارنہٕ آمٕتۍ ڈکھ یِمن پیٹھ کٔڈلہٕ کانٛل تراونہٕ چھِ یوان۔

کٔڈلہٕ کانٛل:-ا۔کولِہ بیترِ تَرنہٕ باپتھ اَپارِ یپور تراونہٕ آمُت کوٚٹ یا وِرام بیترِ۔۲۔کٔڈلہٕ کیوٚ تِمو کوٚٹو منزٕ اَکھ یِم اَپارِ یپور تراونہٕ چھِ آسان آمٕتۍ تہٕ یِمن پیٹھ کٔڈلُک فَرِش چھُ تارنہٕ یوان۔

کٔڈلی:-[<وچھو ''کٔڈِل'']۔ا۔کٔڈلہٕ پیٹھی۔کٔڈلہٕ کنۍ۔کٔڈلہٕ چہٕ وَتہٕ۔۲۔یُس کٔڈلس نِشہٕ روزان آسہِ۔مِ: گُلہٕ گاوٕ کٔڈلی۔

کٔڈٕر:-[م۔مؤل: کٔڈر < س: گڈارِکا]۔ژھوٚٹہٕ قَد (کوہ کریا گَب)۔

کَرا:-[م۔مؤل: کر < س: کٹہٕ]۔وِرام۔ژُدور تہٕ زیوٚٹھ لُکرٕ ٹُکرٕ یُس لَداوس لگان چھُ۔

کرِوار:-تِمہٕ کرٕ یِمہٕ فرشس تلہٕ چھٕ تراونہٕ یوان۔

کَر۲:-[م۔مؤل: کر < س: کُماری]۔سو یُس وُنہٕ کینٛہہ زامُت آسہِ نہٕ۔یِیمہِ وُنہٕ کانٛہہ پھن دیتُمت آسہِ نہٕ۔

کرِ پھن:-ا۔گوڈنیُک پھن۔گوڈنچہ لٹہٕ پرٕسُن۔ ۲۔گوڈنیُک ژھویا شُر۔

کَر۳:-[م۔مؤل: کر < م۔ ہ: کڈھی)۔مَسالہٕ بیترِ

ترٲوِتھ رۄنمُت زامُت دود۔ مِ: دودِ گر۔

گرِتھ:-[<س: کرِتہَ]۔ اَنزرٲوِتھ، موکلاوِتھ۔

گرِتھ کڑٲوِتھ:-۱۔ کام کار اَنزراونہٕ پتہٕ۔ کامہِ اَند بۄر دِتھ۔ ۲۔ کانٛسہِ کینٛہہ جاے واتناوِتھ تہٕ مُجراہ نہٕ دِیُن یا تتھ کھرِیُن۔

گرِتھ گژھُن:-۱۔ کانٛہہ کام بیترِ اَنزرٲوِتھ ہاوُن۔ ۲۔ وَشفہِ کنٛی کانٛہہ تژھ کام کرُنۍ یوسہ کرُنۍ پزِ ہے نہٕ۔ ۳۔ تیٚتھ کینٛہہ کرُن یتھ نہٕ پتہٕ چارٕ آسہِ۔

گرِش:-[م۔مؤل: گرِش <س: کرِشوٗ]۔ سو اَڈ رِکھ یوسہ بتہٕ کھینہٕ وِزِ بتہٕ دَجہِ اَندرِ اَندرِ کانٛسہِ ہنٛدِ گوڈنکہِ تژ ادِ تژ اوان چھہٕ۔

گرِنۍ:-[م۔مؤل: گرِنۍ <س: گر+نی]۔ بٕچو دَن گرِتھ رَمبہِ چالہِ اَکھ سامانہٕ یِمہِ ستۍ ڈسل زبن سۆمبراوان یا بور بیترِ کران چھہٕ۔

گرِنۍ ڈالنۍ:-۱۔ سٔتراوُن۔ سبز کرُن پٹھ پٹھ شیرُن سنبالُن۔ ۲۔ زبر کی سان دَخل دِیُن۔ شیرنہٕ بہُن۔ ۳۔ اَربر کاسُن۔

گرِنۍ کرُنۍ:-وُچھو "گرِنۍ ڈالنۍ"۔

گرِنہٕ بور:-بور یُس سۆترتہٕ سۆم کرنہٕ آمُت آسہِ۔

گرِیم:-[ن۔مؤل: گرِیم <ع: کریم]۔ ۱۔ کرم کرن وول، بخشن ہار۔ ۲۔ دِلہٕ بۄڈ۔ دِلہٕ وۄتھ، فیاض۔ ۳۔ خودا تعالا سُند اَکھ صِفاتی ناو۔

گرِم ننہٕ وور:-تمہِ پھرِ وَنان یِلہِ کانٛسہِ کانٛہہ ناو لۆگمُت آسہِ تہٕ کوتاہ کرِتھ تہٕ ووتھِ نہٕ تتھ ناوس یاررێژھ تھپھ۔

گرفیو:-[ن۔مؤل: گرفیو <اَنگ: کرفیو: Curfew] سہ قونوٗن یِمہِ مۆجوب اَکس خاص وقتس گرو منز نبر روزنس پٹھ پابندی چھےٚ لاگنہٕ یوان۔

گرٕ:-[مؤل: گرٕ <س: کتہٕ]۔ کاتیاہ، شُمارِ حسابہٕ کتۍ۔

گرٕیم:-[ن۔مؤل: گرٕیم <س: کتمہ]۔ ۱۔ کمہِ گرٕ نز ہُند، کمہِ نمبرُک۔ ۲۔ گرٕ نز مۆجوب کُس ہیٚو دوہ یا تأریخ بیترِ۔ مِ: از گرٕیم چھُ۔

گرٕھ:-[ن۔مؤل: گرٕھ <س: ککشہ]۔ اَکھ وۄستہ دوپھ یتھ کانہٕ تہٕ نیران چھےٚ۔

گرٕھ کأنۍ:-گرٕھ زنڈچ لاولنڈ یوسہ کانگرِ بیترِ وونس لگان چھےٚ۔

گرٕھ کأنۍ ہیوٗہ:-(ورگہ) اوژھ تہٕ کمزور، یُس زوزبتہٕ آسہِ نہٕ۔

گشِش:-[م۔مؤل: کشِش <ف: کشش]۔ ۱۔ پانس کُن کھیچنُک طاقتھ، کھچ، لمہٕ۔ ۲۔ لمہٕ لم، کھٕنۍ کھٕنۍ۔

گشِش کرُنۍ:-پتہٕ لگُن، لمہٕ لم کرُنۍ، کھٕنۍ کھٕنۍ کرُنۍ۔

گشیر:-[م۔مؤل: کشیر <مُ۔یوٗنانی: کشپرا]۔ کأشرن ہُند وطن۔ کشمیر۔

گشدِ گر:-[ن۔مؤل: گشدِ گر <ف: کشیدہ+گر]۔ ۱۔ کأکرژور تچھ تچھ کرن وول۔ ۲۔ پیٚشِمن تام حساب بوزن وول۔ ۳۔ کھری۔

کُشدِ گری:-ا۔ کأ کری گی۔ کأ کل۔ گگھر۔ تچھ تچھ کرنک عادتھ۔

کُشدِ گری لاگنیٚ:-ہلو مالہٕ زٕ ٹھراوُن۔ ہلو کتھن طوٗف دیُن۔

کُفیل:-[مؤل: کُفیل <ع: کفیل]۔ ذِمہ دار۔ مَتہٕ دار۔

کُلِش ا:-[ن۔ مؤل: کُلِش <س: کارشاپنہَ]۔ لوٗٹ ترامہٕ سِکہٕ۔

کُلِش ۲:-[م۔ مؤل: کُلِش]۔ شنیہ ریتھ ہیوٚر واُنسہِ کوگر پوٚژ۔

کُلمہٕ:-[ن۔ مؤل: کُلِم <ع: کلمہ]۔ ا۔ مانے دار کتھ۔ ا۔ لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ مُحَمَّدٌ رَسولُ اللّٰہ، (ل۔م) چھنہٕ کانہہ معبوٗد خوداَلیس ورأے محمدؐ چھُ تسُند رسول۔

کُلمہٕ پرٕناوُن:-ا۔ اِسلام قوٗبوٗل کرناوُن۔ ۲۔ آن مانٕنی راوُن۔

کُلمہٕ پرُن:-ا۔ کلمس تالیم کرٕنی۔ ۲۔ اِسلام قوٗبوٗل کرُن۔

کُلمہ شہادَتھ:- اَشهَدُ اَنْ لَّا اِلٰـهَ اِلا اللّٰـه وَاَشْهَدُ اَنَّ مُحَمَّدً عَبْدُهٗ وَ رَسولُهٗ ۔ یُہ کُلمہٕ یتھ اندر خودا تعالا سٕندِ معبوٗد آسنک تہٕ آنحضرتَن ہٕندِ رسوٗل آسنک یقرار چھُ۔

کُلمہٕ طیب:- لَا اِلٰہ اِلَّا اللّٰـه محمّد رَسولُ اللّٰه، چھنہٕ کانہہ معبوٗد خودا تعالاہس ورأے تہٕ آنحضرتؐ چھِ تِہندی رسوٗل۔

کُلپٹہٕ:-[ن۔ مؤل: کُلپٹ <اَنٛگ: کُلیپٹ :Cleat] تم چیٖنوی گوگل ہی یم کراسَن بیترِ منٛز پھساونہٕ چھِ یوان تہٕ یمن ستی بجلی تار واٹنہٕ چھےٚ یوان۔

کُلیمُ اللہ:-[ن۔ مؤل: کلیم اللہ <ع: کَلیمُ اللہ]۔ ل۔م: خوداتعالٰہس ستی کتھ کرن وول۔ حضرتِ موسیٰؑ سُند اکھ صفأتی ناو۔

کُلینجہٕ:-وُچھو "کلیجہٕ"۔

کُلینٛگ ا:-[م۔ مؤل: کُلینٛگ <؟س: کالییہ]۔ بٔر، برداش، وبتٔر ن بانہٕ، جُرتھ (یہ چھُ ہزلہٕ یوان ونہٕ) م: ہوٗنی کُلینٛگ۔

کُلینٛگ ۲:-[م۔ مؤل: کُلینٛگ]۔ (کٔنس بیترِ سٕندِ) کلک مُسلہٕ۔

کُلراوُن:- [وُچھو "کوٚل"]۔ کوٚل کرُن۔ بحثس بیترِ منٛز لاجواب کرُن۔ تیٚتھ اُہرٕ بیہناوُن یتھ جواب پھورِنہٕ۔

کُمیشن:- [ن۔ مؤل: کیشن <اَنٛگ : کمِشن: Commission] ۔ ا۔ سو جماتھ یا سُہ نفر یُس کُنہ خاص کامہِ باپتھ مُقرر کرنہٕ یِیہ۔ ۲۔ تم پأنسہٕ یم کأنسہِ دزٲلِہ پرٛٚھی دِنہٕ ییٚن، دزٲلی۔

کُمشنر:-[ن۔ مؤل کمشنر <انٛگ: کُمشنر Commissioner] کُنہِ محکمُک یا شوبُک سَر براہ۔

کُمی:-[م۔ مؤل: کُمی <ف: کمی]۔ا۔ ژوٗرنہٕ آسُن،

ژَھربر، چھونبر، پرگی۔۲۔لوژر (دأدِس بیترٕ)۔
۳۔اباو۔وبژھے۔م: اکھ کتھِ ہنز چھس کمی۔

کمی پیشی:۔کم کاسہٕ فرق۔ہربر چھونبر۔لوت گوب۔

کمی کرٕنی:۔چھوژنی راوُن۔

کمی گژھنی:۔برابر نہٕ یُن، چھوٹُن، پرٕ پیوٚن،
تیٚئت نہٕ بوٚوُن یُت بووان آسہِ۔

کمیٹی:۔[م۔مؤل: کمیٹی <انگ: کمیٹی]۔۱۔تم کینْہہ
لۆکھ ییم واریاہولوکو کانْہہ خاص مقصد بامَل انْنہٕ
باپتھ ژاریتی آسَن۔گنہِ خاص مقصدِ باپتھ کینْژن
ممبرن ہنز (بناونہٕ آمژ) جماتھ۔۲۔میونسپلٹی۔

کمپیل:۔[ن۔مؤل: کمپیل <س: کامپلہ/کمپلیہ] اکھ
چیز یتھ رَنگ کڈان چھِ۔

کمینہٕ:۔[ن۔مؤل: کمین <ف: کمینہ]۔بدخصلتھ، بد
ذاتھ، یُس سوبا وجان آسہِ نہٕ۔رذیل۔

کمینس ستی کرُن گوژمینس چوب دِنی:۔تہِ
ڈیتھ گو بدذاتس کینْہہ وَنُن چھُ فضول تہِ کیازِ
تَس چھُ نہٕ اور کینْہہ شرٕ پان۔

کمینہٕ بَنُن:۔تی کرُن یہِ زَن اکھ بدذاتھ کرِ۔بد
ذأتل کرٕنی۔

کمینہٕ گی:۔کمینہٕ سُند ہیوٚہ طیر۔بدذأتل۔رزالتھ۔

کمینہٕ گی:۔کمینہٕ سُند ہیوٚہ طیر۔بدذأتل رزالتھ۔

کمینہٕ گی کرٕنی:۔تی کرُن یہِ زَن اکھ کمینہٕ کرِ۔
ناکارٕ سۆلوک کرُن۔

کمُبل:۔[ن۔مؤل: کمُبل <پراکرت: کمَہ]۔
ژمینس زِراتس پیٹھ کأم کرن وول۔

کمُر:۔[<س: کہ شَبد]۔کہنداتھ، کمُر سِندِ ڈسی، کسِندی ڈسی۔

کمَمَو:۔[م۔مؤل: کمَمَو <س: کمبہِ]۔تلوارِ ہنز وُر۔
تلوارِ ہنز غلاف۔

کُن:۔[ن۔مؤل: کُن]۔بُنِیاد، سو بُنِیاد یتھ پیٹھ
مکانہٕ بیترٕ کھارنہٕ چھُ یوان۔سُہ کنہٕ دیون بیترِ
یُس مکانس تلہٕ چھُ آسان، مکانک ژوک۔

کنہٕ کُنی:۔۱۔سو کُنی یوسہٕ گوڈنکس کنہٕ دارس لاگنہٕ
آسہِ آمژ۔سنگِ بُنِیاد۔۲۔بُنِیاد۔

کُن پژاٹُن:۔۱۔بُنِیاد کَڈھنی۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)
مؤل گالُنی۔

کُن دیُن:۔۱۔مکانہٕ لدنہٕ باپتھ کنیو دیون کھارُن،
مکانچ بیترٕ بُنِیاد ترٛاوٕنی۔۲ کنیک سنز کرُن،
گوڈہیوٚن یا بُنِیاد ترٛاوٕنی۔دَس تُلُن۔

کُن کڈُن:۔۱۔بُنِیاد پژاٹُنی۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)
مؤل گالُنی۔

کُن کھارُن:۔بُنِیاد دُرٛراوٕنی۔دیون کھارُن۔

کنیز:۔[م۔مؤل: کنیز <ف: کنیز]۔نوکرأنی، ژۄنژ۔داے

کُنی/کَنی:۔[<س: کرنے]۔طرفہٕ، اَنْد، پاسہٕ۔م:
کلہٕ کُنی یا لٹہٕ کُنی، بونہٕ کُنی۔

کُنی۲:۔[م۔مؤل: کُنی <؟س: کانتہ۔م: سؤریہ کانتہ]
۱۔وَٹہٕ، نِلہٕ، شیل، پَل۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سُہ

چیز یُس سبٹھاہ دۆر یا سَخ آسہِ۔ ۳۔ وأنجہِ دۆر۔
بےٚ عار۔

کنہِ آرِ:- سو کول بیترِ یوسہِ کنو منزٕ پکان آسہِ، سہٕ نالہِ بیترِ یَتھ منزٕ کأنی وَٹہٕ آسَن۔

کنہِ پور:- مکانہٕ بیترِ ٹیگ ہۆنیم پور یُس کنین ہُند آسہِ۔

کنہِ پیٹھ کنہٕ لایُن:- یورِ تہٕ تی کرُن یہٕ اہرِ کانہہ کرِ۔ لڑأے ژھۆراونہٕ بَدل تَتھ وُتش دین۔ فساد زٕٹھراوُن، زورٕ زبر دِنی، زُرکی دِنی۔

کنہِ پھرِ:- کنہِ چٹہٕ (یہٕ چھُ ژۆنجل گز آسان)۔

کنہِ پھوٹُمت:- ۱۔ سہٕ یُس کانہہ ناوٕ ہنس آسہِ نہٕ۔ یُس کانہہ نکھہٕ ڈکھہٕ آسہِ نہٕ۔ ۲۔ یُس نہٕ ماجہِ بیٚنہِ ہُند لحاظ روزِ، چھُلبتھ۔

کنہِ پھوٗل:- تڑپ۔ لوکٹ کنٕی، نچ کنٕی۔

کنہِ رٕد:- کنہِ چلاونس نہٕ تھکھے کرُن، کنبے کنہِ چلاونہِ۔

کنہِ ژٕنڈ:- ۱۔ کنہِ چلاونس نہٕ تھکھے کرُن، کنبے کنہِ چلاونہِ۔

کنہِ ژوک:- کانہہ تأمیر کرنہٕ برونہہ دِنہٕ آمُت کنین ہُند کُن۔ ہۆنی مہٕ پوٗرک کنہِ دیوٗن۔

کنہِ کنہِ کرُن:- ۱۔ سنگ سار کرُن، کنہِ لأیتھ مارُن، تیژ کنہِ لایِنہِ یُتھ کنین تل مُرتھ گژھِ۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) لۆکن منز منڈ چھاوُن، أڈٕ أڈٕ کڈُن۔

کنہِ کأج:- کنہِ ہُند وٕ کھُل، نیأکی یا کھلُر۔

کنہِ کھڑٕ پھ:- دون کھسگر بن منزس وَژھر۔ سو کھڑٕ پھ

یوسہٕ أکس کھسگرِ تہٕ بیٚیس کھسگرِ منزس آسہِ۔

کنہِ کھانٹھُر:- سہٕ بال بیترِ یَتھ دۆرتام کھسگر ئنی آسَن۔

کنہِ کھأنی:- کنہِ بالس کنہِ کڈنچ جاے۔ بالُک سہٕ کھن یُتھ پرأٹتھ کنہِ کڈنہٕ ییٚن۔

کنہِ گاگر:- ۱۔ آرس بیترِ منز سو جاے یتین سبٹھاہ کنہِ آسَن تہٕ پونی بیترِ آسہِ تمہٕ وِے تُلی پکان۔ ۲۔ ہۆڑ کنہِ ڈیر۔ أکی ہے جایہِ سۆمبرِتھ یا سیمژ واریاہ بجہِ کنہِ۔

کنہِ مزار کرُن:- سنگ سار کرُن، کنین تل کرُن، کنہِ کنہِ کرُن۔

کنہِ مۆزوٗرٕ:- ۱۔ (ل۔م) کنہِ سارنچ یا پھُٹراونچ کأم۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سو مۆزوٗری یتھ منز زۆژھینہِ سَخ کأم۔ تژھ کأم یہٕ کران کران رَتھ وَسہِ۔

کنہِ موٗنڈ:- ۱۔ کنہِ مۆزوٗر۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) یُس وُسی پایہِ کأم آسہِ کران تہٕ تہِ کنٕی آسبس نچہِ نظرِ وُچھنہٕ یوان۔

کنہِ ناٹہٕن پا کھ دین:- ۱۔ فاقہٕ فُقرٕ رۆزِتھ وَق گساوُن، سفید پۆشی پکناوٕنی۔ ۲۔ شرٕ مدار آسنہٕ کنٕی کأنسہٕ زنانہِ ہُند سبٹھاہ دوکھ تُلتھ تہٕ کأنسہٕ اَتھ نہٕ دارُن۔

کنہِ نأڈٕ / کنہِ نأنٹٕ:- نچہِ نچہِ کنہِ۔ لأری مہٕ۔

کنہِ وَٹھ:- ہۆڑ نِلہٕ، ہُڈ ڈُلأم کنٕی۔

کنہِ وَرشُن:- کنہِ رٕد، یۆتُس پتھ کنہِ چلاونہِ۔

کنہِ وۆت:- کنہِ لاینہِ، کنہِ وَرشُن کرُن۔

کنہٕ ہَر :--سو لڑاۓ یتھ منز اورٕ یور کنہٕ چلاونہٕ ییٚن۔ سو لڑاۓ یتھ منز دوشوے ڈٔرۍ اکھ اَکِس کنہٕ وَرشُن کرَن۔

کنہٕ ہَر باز :--کنو ستۍ لڑاۓ کرن وول۔ یُس لڑایہٕ منز کنہٕ چلاوِ۔

کنہٕ ہانٛز :--سُہ ہانٛز یُس ناوِ منز کنہٕ اورٕ یور ساران آسہٕ۔

کنَن تام اوٗش ییٚن :--کانٛسہِ تیٚتھ مُصیبتھ ییٚن یتھ سنگدِلن تام آرِ ییہِ۔

کٔنۍ پیٚنۍ :--۱۔ کنہٕ ستۍ چوٗرٕ گژھن، پھٹراونہٕ ییٚن۔ ۲۔ (ووہو) بلاے ینۍ۔

کٔنۍ ژھٕنۍ :--۱۔ کٔنۍ دٲرِتھ دِنۍ۔ کٔنۍ لاینۍ۔ کنہٕ ستۍ پھٹراوُن۔ ۲۔ (ووہو) بلاے اَنۍ۔

کٔنۍ کڈٕنۍ :--۱۔ بٔنۍ یا پڑانٛۍ۔ لُہراوُن۔ دٲرِتھ دِیٚن۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھۍ) بُرباد کرُن، تباہ کرُن، کٔنہٕ لایق نہٕ تھاوُن۔

کٔنۍ کٔنۍ لاینۍ :--پتے روزُن۔

کٔنۍ گٔنڈِتھ کولہِ ژھٕنُن :--تِتھہٕ پٲٹھۍ تباہ کرُن یُتھ نہٕ ووتلہِ۔ کٔنہٕ وَتہٕ نہٕ لاگُن۔

کٔنۍ لگنۍ :--کن لگُن، بٔنۍ یا دیٚنۍ۔ گوڈ لگُن۔ مِ: یَنہٕ پیٚٹھ آدمہِ سٕنۍ کٔنۍ لٔج۔

کٔنڈی :--[م۔مؤل: کٔنڈی < پڑاکرت : کنہٕ آ<س: کرنکا]۔ حاشیہ۔ سوٗرٕ کھٕش یوسہٕ ژادرِ بیترِ ماولہِ اَنٛدِ ترٲوِتھ چھےٚ آسان۔

کنٛد دار :--[م۔مؤل: لٔنٛج] سوژادر بیتر یتھ ماولس رٕکھ آسہٕ ترٲوِتھ۔

کٔنڈ :--[م۔مؤل: لٔنٛج]۔ پیٹھِم سُہ روٗد حِصہٕ یُس کٔنہٕ موٗس یا ٹھولِس نیٚبرٕ کنۍ آسان چھُ۔

کنٛجہِ ترٛوپ :--پکھٕ کیٚن دون ٹکرن انٛد مِلناونچ ٹیب، ٹوپہٕ بیترِ ہُنٛد پکھٕچ ترٛوپ۔

کنٛجہِ نار :--تمہٕ ژٕنہٕ یمہٕ کنٛجہ زٲلِتھ بناونہٕ آسن آمژٕ۔

کٔنڈٕج :--[م۔مؤل: کٔنڈٕج <س: کنڈ + جا]۔ اکھ وٕسنۍ گاسہٕ یتھ ٹلس تہٕ وُتھرن ہشہٕ ہشہٕ آسان چھےٚ۔ کٔنڈی چھٲر۔

گوی :--[ن۔مؤل: گوی <س: گو]۔ گونہٕ ماتھ، شایر، سُہ یُس بٲتھ وَنۍ یا کٔنڈٕنۍ تگان آسن۔

کٔھیم :--[ن۔مؤل: کھم <س: ایکادشہ تمہٕ]۔ ۱۔ ڈیکہٕ پتک۔ ۲۔ اکھ رسم یُس کھمہِ تارکھِ انٛدوا تناونہٕ چھُ یوان۔ ۳۔ اکہِ قسمُک نیاز۔ ۴۔ کاہنٲوۍ سٕنز چاے۔

کٔھیم چاے :--کاہنٲوۍ سٕنز چاے۔

کٔھیم دوہ :--بٔٹن ہُنٛد اکھ رسم یُس کانٛسہِ ہُنٛدِ مرنہٕ پتہٕ کھمہِ دوہہٕ پوٗرٕ چھُ یوان کرنہٕ۔

کٔھیم کرُن :--نیاز کرُن، خٲرات کرُن۔

کٔھۍ ۱ :--[<پڑاکرت: کھم <س: کتھم]۔ کتھہ پٲٹھۍ، کِتھہ کٔنۍ۔

کٔھۍ ۲ :--[<دۆچھو] کمہِ مولہٕ۔ کِتس۔ کتھہ قیمتس۔

کٔھۍ ۳ :--[م۔مؤل: کھۍ]۔ کھوٗل پاٹُر کرِتھ اکہِ قسمُک

ٹونگرٕ یُس میٚوٕ بیترِ پھیٚر دِنٕس چھُ لگان۔

کٔہی تام:- ڈٕبٹھ کوتاہ گرِتھ۔ ہتھٕ ہتھٕ۔ بڈٕ مُشکلِن، بڈٕ کوٗشش کٔرِتھ۔

کٔہی تام کٔہی تام:- سخ کوٗشش کٔرِتھ۔ لمی لمی کشالہٕ کٔری کٔری۔

کٔہی رتھ:- ا۔ سُہ چیز یُس نہٕ بنہٕ وُن آسہِ۔ بنہٕ نی چیز۔ ۲۔ حرام۔ کانٛہہ حرام چیز۔ مِ: کٔہی رتھا اگر مے چھُ۔

کٔہی کاس:- وبرٕ ہے، کمی، نہٕ بٔنِن۔ نہ بوٗن۔

کٔہی یا:- [مؤل: کٔہی یا <پراکرت: کہ <س: کتہٕ]۔ واریاہ۔ سیٹھاہ کینٛہہ

کٔہرُن ۱:- [مؤل: کٔہر <ع: قہر]: قہر کرٕ۔ ا۔ تنٛدُن۔ کرُن۔ کتھِ پتھ ژُونہِ ووتھن۔ وولُن ۲۔ تز کرُن۔ (رنہٕ، تلنہٕ بیترِ تلہٕ) ۳۔ مترک بیترِ سختی سان ہُن۔

کٔہر یوٗمُت:- وولیوٗمُت۔ کہر یومُت۔ کتھ کتھِ پتھ ژُوَن وول۔

کٔہرُن ۲:- [مؤل: کٔہر]۔ اُبی ژٕمٕنس تاو ہتھ پونی لدُن۔ تاوس آب لاگُن۔

کاٲبر:- اَکھ شٕستٕر سامانہٕ یُس تارَن بیترِ واٹھ دِنٕس چھُ لگان۔

کاپی:- [م۔ مؤل: کاپی <اَنگ: کاپی Copy]۔ ا۔ ہوٕ سایزٕ کِ گنڈٕ نہٕ آمتی کاکذ ورق ۲۔ کتابتُک فَرد ۳۔ نقل۔

کاپٕزی:- [ن۔ مؤل: کاوٕزی]۔ اَکھ وٕسنی جنٛگلی کُل۔

کاٲتب:- [ن۔ مؤل: کاٲتب <ع: کاتب]۔ کتابت کرُن وول۔ خوش نٔوٕیس، چھاپنہٕ باپتھ صاف صاف لیکھُن وول۔ لکھاری۔

کاٲتی نوٚم:- [ن۔ مؤل: کاٲتی نوٚم <س: کرتنم]۔ قاٲز۔ بٔندِش۔ پابندی۔

کاٲتی نوٚم کرُن:- قاٲز کرُن۔ سخ بٔندِش کرٕنی۔ سختی کرٕنی۔ کُن نہٕ نیرنہٕ پھیرنہٕ دیُن۔

کاٲتی نوٚم گرٛھن:- روٗٹ گرٛھن۔ بٔندِش گرٛھنی۔ اورِ یورِ نیرنہٕ دیُن۔

کاٲٹھ ۱:- [م۔ مؤل: کاچھ <س: کاشٹھ]۔ ا۔ دوٗر دیل، ذرزٕم (مونٛجہِ بیترِ ہنٛز) تھٕز ہا کہٕ موٗنڈ یتھ أندرٕ ماز سیٹھاہ کم آسہِ۔ مِ: مونٛجہِ کاٲٹھ ۲۔ ہوٗکھ نل۔ دَن۔ مِ: اکہٕ کاٲٹھ ۳۔ مونٛجہِ بیترِ ہنٛز أر۔

کاٲٹھ گرٛھنی:- أر گرٛھنی۔

کاٲٹھ ۲:- [م۔ مؤل: کاچھ <س: کنشٹھکا]۔ کس (کھورٕچ یا اَتھٕچ)۔

کاٲٹھی ۱:- [م۔ مؤل: کاٹھی <پراکرت: کٹھِ <س: کاشٹھ]۔ بچوٗز ہن۔

کاٲٹھی ۲:- [مؤل: کاٲٹھ <س: کاشٹھ]۔ ہگر یوٗمُت، موٗمہٕ نیوٗمُت ۲۔ کایَن وول، کشن وول، یُس مُشکلہٕ سان تھوٚد آسہِ ووتھان۔

کاٲٹھی گرٛھن:- ا۔ فصلہٕ ڈٕکھن ہُند ہیٚر تھ گرٛھن مگر دانہِ نہٕ پوٚٹھنی۔ فصلُک بیترِ ہنٛڈرٕی گرٛھن۔

۲۔ (ورگہِ پاٗٹھی) تھکُن۔ ہبکتھ نہٕ روزٕنۍ۔

۳۔ (ورگہِ پاٗٹھی) کایَن لدبُن۔ کاٗم کرنس نہٕ عادتھ روزُن۔

کاٗٹھی ہاکھ:- سُہ ہاکھ یتھ زٕچھ تہٕ کاٹھیرٕ مونٛجہ نیران چھےٚ۔

کاٗٹھی۳:- [م۔ مؤل: کاٹھ < س: کٹھہِ]۔ لنگوٹہٕ۔

کاٗٹھی چارٕنۍ، کاٗٹھی کسنۍ:- [مُقابلہٕ بیترِ خاطرٕ]۔ تیار سپدُن۔

کاٗٹھی کرٕنۍ:- تیار روزُن۔

کاٗج۱:- [م۔ مؤل: کاج < س: کاجہ]۔ ۱۔ کنٛو نیاٗم، وونٛج۔ ۲۔ پاٗترٕ۔ سُترٕ کنۍ یتھ پٔٹھ ٹیوٗک بیترِ گہان چھہِ۔

کاجہِ تیل:- ۱۔ اکہِ قسمُک تیل یُس دٔہس بیترٕ لگان چھُ۔ یہِ چھُ دوا زاٗژن پاٗترِ پٔٹھ گھتھ کڈنہٕ یوان۔ ۲۔ سُہ تیل یُس آب رلاوِتھ پھیشنان چھُ۔

کاجہِ تیل کڈُن:- کانٛہہ مُشکِل کاٗم باٗمل انٛنۍ۔ تیُتھ کینٛہہ کرُن یہِ عام حالاتن منٛز کرُن مُشکِل باسہِ۔

کاجہِ تمُن:- (ورگہِ) کرٕہنۍ ژٔم۔ کرٕہُن مُسلہٕ۔

کاٗج پینٛۍ:- وہ کھُل پیوٗن (یہِ چھُ اکھ ووہو)۔

کاٗج۲:- [م۔ مؤل: کاج < س: کاجہ]۔ ترٛامس واٹھ دِنہٕ خاطرٕ شُستر ولوٗ رہش۔

کاٗڈی اَل:- [م۔ مؤل: کاڈی اَل < کاڈی + س: الابہٗ] اکہِ قسمٕچ اَل، پاٗرِم اَل۔

کاٗر:- [م۔ مؤل: کار < س: کندھرا]۔ گردن۔

کارِ پتٕۍ:- ۱۔ پوشَن ہُند اکھ قسم۔ اَمہِ ذاتہٕ ژہُند پوش چھُ نیوٗل آسان۔ ۲۔ (گردنہِ پتٕۍ کنہِ) زیوٗٹھ مَس۔ یُتھ پاٗٹھی ماشوقہٕ ہندِ بن زُلفَن وِنان۔

کارِ تھم لگُن:- گردن کاٗٹھی گژھنۍ۔ گردن نہٕ پھرنہٕ ینۍ۔ (سردی کنۍ یا شاند بےٚ سوٗم آسنہٕ موکھہٕ)۔

کارِ تھوٚد:- ۱۔ یُس گردن وۄتھ کنۍ آسہِ۔ تھزٕ گردن کرٕتھ۔ ۲۔ (ورگہِ پاٗٹھی) تھدِ پایک۔

کارِ خم اَژُن:- ۱۔ گردنہِ منٛز دٔکھ گژھنۍ۔ ۲۔ وَتہِ وِچھان وِچھان گردن تھکٕنۍ۔ ۳۔ کاٗنسہِ پرٛاران پرٛاران چشمہٕ لوسنہٕ۔

کارِ وَر لگُن:- ۱۔ گردن وُٹھنہٕ ینۍ۔ ۲۔ (ورگہِ پاٗٹھی) وِچھان وِچھان مرُن۔

کارِ وُٹھن لگٕنۍ:- وِچھان وِچھان مرُن۔ بزُرن منٛز مرِتھ گژھن فِکرِ نہٕ ترٛن زِ کپاٗرِ موٗد۔

کارِ وو گُن:- وِچھو "کارِ تھوٚد"۔

کارِ ہوٚل:- ۱۔ سُہ یُس گردن ہٕچ آسہِ ہٕچ گردن کرٕتھ۔ ۲۔ کاٗشرِ ہنٛز اکھ کرٛام۔

کاٗر پھٕٹنۍ:- ۱۔ گردن الاٗنٛز گژھنۍ۔ ۲۔ شرمندٕ گژھنہٕ سٟتۍ بُتھ بون کنۍ گژھن۔ ۳۔ مرُن۔ مرنس واتُن۔

کاٗر لکھنۍ:- گردن موٚڑنۍ، گردن وُٹھنۍ۔

کاٗر لکھنہٕ ینۍ:- زِنہ بیترٕ سٟتۍ کاٗر ژلنہٕ ینۍ۔

کاٗرلوٗسنۍ:- ۱۔ گردن تھکٕنۍ۔ ۲۔ (ورگہِ پاٗٹھی) کاٗم کرٕی کرٕی یا پرٛاری پرٛاری تھکُن۔

کأرمارٕنۍ :- آنٹہٕ نہٕ کھٕسُن۔ کتھ ژٕٹنۍ نٕہون کل دِنۍ ۔

کأر مۆرٕنۍ :- ا۔کأر وُٹھنۍ ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) گۆش دِیُن۔ بۆزتھ گرِتھ باس دِیُن زِ مے بۆزٕ ے نہٕ۔

کأروُٹھنۍ :- ا۔گردن مۆرٕنۍ ۔مارُن ۔۲۔سخ سزا دِیُن۔

کأرستأنۍ :- [< کارِستانی]۔کأمِل ،زورٕ تچھ تچھ کرنک عادتھ ۔ ژور گاٹہٕ جار ہاوُن۔ تگن گری ۔ چالاٗ کی۔ زیرٕ کی۔

کأرِستأنۍ کرٕنۍ :- کأرکل کرٕنۍ ،تگن گری ہاوٕنۍ ۔ زیرٕ کی ہاوٕنۍ ۔

کأرِستأنۍ ہاوٕنۍ :- وِچھو ''کأرِستأنۍ کرٕنۍ''

کأرۍ شِنۍ :- [مۆل: کأرۍ شِنۍ <س: کرشن] سختی ، شاہمتھ ،سیتھ خوشکبتھ ۔

کأرۍ گر کأرۍ گر :- [ن۔مۆل: کأرۍ گر <ف: کاری گر] ا۔یَس کانٛہہ ہونرٕ تگان آسہِ ۔ ہونرمند کانٛہہ کأم پۆرٕ پأٹھۍ زانَن وول ۔۲۔طأیفہٕ دٔر۔

کأرۍ گری :- ا۔گاٹہٕ جار۔ ہونر ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) کأرکل۔چالاٗ کی۔

کأرۍ گری کرٕنۍ :- (ورگہٕ) کأرکل کرٕنۍ ۔کوٗدکٕنہٕ بہُن۔

کأزۍ کوکٕڈ :- [ن۔مۆل: کأزۍ کوکٕڈ]۔ کرٕ ڈِ پھل۔ سُہ ووزلہِ رنٛگہٕ لٔدرٕ پھوٗل ہیٚوٗہ پھل یُس کینٛژَن گنٛڈی تھرٕ ہن نیران چھُ۔

کأژاِ :- [م۔مۆل: کاژ <س: کرتری]۔ا۔ دُکأرۍ ۔ مقراض۔خاص کٔرِتھ سو دُکأرۍ یمہٕ سیٖتۍ تپٕر نتہان چھِ ۔۲۔ گنہٕ تھمبس ہیٚتر تھٔوی ییٖتۍ زٕ دولہٕ ڈکھیم أکِس جایہٕ پیٹھ میلان آسَن ۔۳۔کوٗٹھیک جوڑ۔ کوٗٹھۍ آنٛچہٕ ہُنٛد بۆنیم حصہٕ۔

کأژِتل رٔٹُن :- کامہٕ ہیٚوٗن۔ جواب طلب کرُن۔ پزٕ ژھ گأر کرٕنۍ ۔

کأژ کرٕنۍ :- زنٛگہٕ تہٕ لنٛگس منٛز باگ رٔٹُن یا بنٛد کرُن۔ أکھ پہلوان ژھل ۔

کأژ گرٕھنۍ :- ہۆل گرٕھن ۔کاوُرن ۔

کأژ۲ :- [ن۔مۆل: کاژ <س: کاچہ]۔تلہٕ وأنۍ وانک دُکھمبیُل حصہٕ یتھ وانہِ داند پھِروان چھِ ۔

کأسِب :- [مۆل: کأسب <س: کاسب ۔کسب]۔ ا۔ہونرمنٛد۔ کأرۍ گر۔ کِسب زانَن وول ۔ ۲۔طأیفہٕ دٔر۔

کأشُر :- [ن۔مۆل: کأشُر وِچھو ''کشیٖر'']۔ا۔کشیٖرِ ہُنٛد روزَن وول ۔۲۔ کأشرٕ ہنٛز زبان۔ ۳۔کشیٖرِ منٛز بنیومُت یا وو پدیومُت ۔مِ کأشُر توٗمُل

کأشُر اَل :- زٕ یٹھ اَل یتھ سبزارِسان دٔبل آسان چھُ۔

کأشُر زبو :- کأشُر زبان۔کوٗشُر۔

کأشُر مج :- مُجن ہُنٛد اکھ قسم یُس زیاد پوٗتھان چھُ۔

کأشُر ناس :- دیسی ناس۔ یتھ کأشُر تماکہٕ رنٛگہٕ ورأے پھسکھ یتھ عام ناستہِ کھوتہٕ ژٕرتیٖہہ آسان چھےٚ ۔

کأشُر کرٕ:- مٕژُک اکھ قِسم یتھ دٕبل کرٕ ہیتھیارٕ سان آسان چھُ۔

کأشراوُن:- کأشرِس منز پھِرُن۔ کأشُر ترجمہٕ کرُن۔ کأشُر اَنہار دیُن۔

کأف:-[م۔مؤل: کأف <ع: کیف]۔ غوٗنوٗدگی۔ نِنٛدرِ ہنٛز ہِش حالَتھ۔

کأف کھسٕنۍ:-ا۔ غوٗنوٗدگی کھسٕنۍ۔نِنٛدرٕ ترٕنۍ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) چالاکی کھسٕنۍ۔کپر گژھن۔

کأفر:-[مؤل: کأفر <ع: کافر]۔ا۔ وِچھِو ''کافر''۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ناشُکر گُذار۔

کأفی:-[<ف: کأفی <ع: کفی]۔ سبٹھاہ۔وارِیاہ۔گُتُل۔

کأکل:-[م۔مؤل: کأکل <وِچھِو ''کاکھ'']۔ کأکی، کأکِس ہُنٛد ہیوٗ طور طریقہٕ۔

کأکی:-[ن۔مؤل: کاکی <وِچھِو ''کاکھ'']۔ کوٗدِ کڈن وول۔

کأکِس چھےٚ وُنان:- تہِ دُپتھ گوژرِس گاٹلس چھےٚ گٹہٕ وٕسان تہٕ عقل راوان۔

کأکی گی:- کوٗدِ کڈٕنۍ، کتھن کوٗنٛج کڈنٕک عادَتھ، خوشکھ بحث کرنٕچ پتھ۔

کأکی گی تھسکٕنۍ:- چالاکی ہاوٕنۍ۔گاٹُل آسنکی دَم دِنۍ۔

کأکی گی درژسہٕ دیُن:- پنٕن پان گاٹُل ہاوٕنٕچ کوٗشش کرٕنۍ۔ پنٕن پان گاٹلن ہنٛز گرٛزن منز اَنٕنٕچ کوٗشش کرٕنۍ۔

کأکی گی کرٕنۍ:- خوشکی ہاوٕنۍ کأکل کرٕنۍ۔

کأکی گی ہاوٕنۍ:-ا۔ اَپزٕ ےگاٹہٕ جار تھکبٕنہٕ یہُن۔ ۲۔پیٹھوٗلی کرٕنۍ۔

کألاس:-[ن۔مؤل: کألاس <س: کیلاشہ]۔ ہِمالہٕ پربتُک اَکھ مشہوٗر تھوٗنگ کیلاش کوہ یتھ پیٹھ شِونا تھ سنٛز جاے مانٕنہٕ یوان چھےٚ۔

کألاس دأسی:-(ل۔م) ۔شِوناتھن اَکھ ناو، کألاسس پیٹھ روزن وول۔

کألی:-[م۔مؤل: کألی <س: کالی]۔ اَکس دیوی ہُنٛد ناو، پاروٗتی ہُنٛد اکھ روٗپ۔

کألی وو پاسکھ:- کألی ہنٛز عبادَتھ کرن وول۔

کألہٕ:-[ن۔مؤل: کأل <؟ س: کرپرٕ۔م۔ہ: کیل]۔ ا۔ کھنٛجہٕ۔ٹکرٕ۔ قاشہٕ۔م: مُجہ کألہٕ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) نٔخرٕ۔تماشہٕ۔

کألہٕ کرٕنہٕ:-ا۔ کھنٛجہٕ کرٕنہٕ۔ قاشہٕ کرٕنہٕ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) نٔخرٕ کرٕنۍ۔تماشہٕ کرٕنۍ۔

کأٹھ:-[<س: کالہ]۔ا۔ پگاہ۔م: کأٹھ کٕبتھ۔۲۔ گنہِ وقتہٕ، گنہِ زمانہٕ، تمہِ ساتہٕ ییٚلہِ موقہٕ ییہِ۔م: کأٹھ راوے کھسکھ اَرمان۔

کأٹھ کالہٕ داشہٕ:- زانہہ کأٹھ، خال گنہِ ساتہٕ۔

کأٹھ کٕبتھ:-ا۔ پگاہ دوہ گوٚژھتھ۔۲۔ دوٚیم دوہ گوٚژھتھ۔م: پتہٕ گیوٚسہٕ کأٹھ کٕبتھ واپس۔

کأٹھ کٕبتھ کنہٕ:- کأٹھ کٕبتھ ہیوٗہ۔

کأم:-[م۔مؤل: کام <پزاکرت: کمہٕ <س: کرمہ]

ا۔فرٕض،ذِمہٕ دأری،مٕتہٕ دأری۔۲۔میحنتھ۔ مشقتھ،کار۔۳۔ٹوپہٕ، جالکدٕزی ہنٛز کاؔم، ہونَر،کأرٕ گری۔

کامہِ پیٹھ کاؔم:-اَکھ کاؔم موکلاونہٕ پتہٕ پٮ۪ٹھے بیا کھ کاؔم۔رَژھ تہٕ نہٕ فُرسٕٹھ۔کامہِ ہنٛز ترٛپہٕ ترٛپھ، پیٛوٹھس پیٹھ کاؔم۔

کامہِ ٹوٗٹھ:-سُہ یُس کاؔم کرنہٕ کٔنِز پرٛتھ کأنٛسہِ ٹوٗٹھ آسہِ۔یُس کاؔم کرنہٕ کٔنِز پرٛتھ کُنہٕ جایہِ وٕنہٕ۔

کامہِ ٹوٗٹھ وپان پرٛتھ جایہِ،ماجہِ ٹوٗٹھ نہٕ وپان ماجہِ رٕنش تہٕ:-تہِ دٕپتھ گوٚیُس وٕزھ آسہِ سُہ چھُنہٕ کأنٛسہِ تہٕ گوبان اَتھ بدَل یُس آلژھی آسہِ سُہ چھُ گرٕکنہٕ بٲژن تہٕ کھران۔

کامہِ چار:-کامہِ ہنٛز ترٛپھ، سوکاؔم یتھ نہٕ پزٲرِتھ گرِتھ ہیٚکہِ زِ۔

کامہِ دار:-سُہ پلو یتھ ٹوپہٕ آسہِ گرِتھ۔پوٹ یا تلہِ چھاؤتھ پلو۔

کامہِ ردٕس کرُن:-ا۔موطل کرُن۔کامہِ منٛز کڈِتھ ژھنُن،نوکری منٛز کڈُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی)بیکار کرُن۔کینٛہہ نہٕ کرنہٕ دیُن۔

کامہِ ژوٗر:-سُہ یُس کاؔم کرنہٕ وِزژھپہٕ آسہِ دِوان۔

کامہِ گژھن:-ا۔ کاؔم کرنہٕ باپتھ گژھن۔ ۲۔توت گژھن ییٚتہِ کینٛہہ حاجتھ آسہِ۔

کامہِ لگُن:-ا۔ کاؔم کرٕنۍ ہیٛنٛز،کاؔم شورٕ کرٕنۍ۔

۳۔بےٚ کار نہٕ روزُن۔کُنہٕ ستۍ آوٕر روزُن۔

۳۔نوکری بیترٕ لگُن۔کُنہٕ جایہِ کاؔم ہٕنٛز۔اوزٕتہٕ کماوٕنٛچ سٕبیل ہٕنٛز۔۴۔توتہٕ کار آمد آسُن۔ زَڈٕ نیرٕنس لایق آسُن۔۵۔(ورگہٕ پأٹھی)کُنہٕ وٕلٕتہٕ کارس پھَسُن۔تتہٕ پأٹھی ہہٕنہٕ یُن یتھ موکلُن پاے روزنہٕ۔

کامہِ لاگُن:-ا۔مَرمَتھ کرنہٕ یا ترٛوٚپ بیترٕ دِنہٕ باپتھ چیٖز بروٗنٛہہ کُن اَنُن یا اَتھس منٛز ہیوٗن۔

۲۔استیمالس لاگُن۔۳۔(ورگہٕ پأٹھی)کُنہٕ منٛز پھَساوُن۔۳۔مُقدمہٕ بیترٕ کرُن۔

کامہِ منٛز اَنُن:-ا۔(کانٛہہ چیز بیترٕ)۔استیمالس لاگُن،پرٛژرس لاگُن۔۲۔آژھنُن(بانہٕ بیترٕ)

کامہِ ہیوٗن:-ا۔کأرٕ گرٕ سُند کانٛہہ چیز یا سامانہٕ بیترٕ گرنہٕ یا ٹھیکھ کرنہٕ باپتھ بروٗنٛہہ کُن اَنُن۔

۲۔(ورگہٕ پأٹھی) دٕلس لاگُن۔حساب ہہٕنہٕ باپتھ بروٗنٛہہ کُن اَنُن۔

کاؔم اَندٕ نۍ:-کاؔم پوٗرٕ سپدٕنۍ۔مُراد حاصِل سپدُن۔ ذِمہٕ دأری نکھہٕ وٕسٕنۍ۔

کاؔم اَنزراوٕنۍ:-کاؔم موکلاوٕنۍ۔ذمہٕ دأری پوٗرٕ کرٕنۍ۔

کاؔم ہٕنٛز:-ا۔حاجتھ نیرُن۔سبدتھ سپدٕنۍ۔۲۔فأیدٕ یُن۔ ۳۔نوکری ہٕنٛز۔

کاؔم ہہتھ گژھنۍ:- وُچھو کاؔم ہٕنٛز۔

کاؔم ہٕنٛز:-کامہِ منٛز روٗٹ گژھن،کاؔم نہٕ پٔکنۍ کینٛہہ

وَجہ گژھنہٕ مۆجوٗب کٲم سپدنس منٛز اُتھ کادیُن۔

کٲم پکنٕژ:-۱۔کٲم نہٕ ہیٛتھ گژھنٕژ۔۲۔حاجتھ نیرٕ ن۔

کٲم پیٛنٕژ:-۱۔کیٚنٛہہ کرُن پیٚوٗن۔کُنہِ ستیٚ آوُر لگُن۔۲۔(کٲنٛسہِ ستیٚ) بتھِی لاگے گژھنٕژ۔

کٲم چلنٕژ:-زٕڈنیرٕنی۔کامہٕ نہٕ تھکھ گژھن۔

کٲم دِنٕژ:-۱۔کیٚنٛہہ کرُن مَتہٕ تھاوُن، کیٚنٛہہ کرنس ستیٚ آوُر تھوُن، کانٛہہ کٲم کرنس لاگُن۔۲۔بکار لگُن۔زٕڈنیرٕنی۔

کٲم کرٕنی:-۱۔کار کرُن ہیٚکارنہٕ ہیٚن۔۲۔ذِمہٕ دٲری نکھہِ والنٕژ۔تہٕ کرُن یہٕ مَتہٕ آسہِ۔۳۔پکلوٹو یہٕ کرُن، جالکدوزی ہنٛز کٲم کرٕنی،پوٚٹ چھاوُن۔

کٲم کار:-کارٕ بار۔تہٕ سورُے کیٚنٛہہ یہٕ کرُن آسہِ۔

کٲم کوٚٹ:-لوٚکٹ بٔڈ کٲم۔لوٚکٹ بٔڈ کٲم یوسہٕ کرٕنی آسہِ۔

کٲم گژھنٕژ:-(کٲنٛسہِ ستیٚ) دور کرُن پیٚوٗن۔

کٲم گونٕژ:-کٲم زٕٹھنٕژ، کٲم بارٕ پیٚنٕژ۔

کٲم لاگنٕژ:-کانٛہہ کٲم اَتھس منٛز ہیٚنٕژ۔لداو ہیٚترٕ شوٗروٗ کرُن۔کارخانہٕ لاگُن۔

کٲم نکھہِ وٲنٕژ:-ذِمہٕ دٲری خوش پٲٹھی پوٗرٕ سپدٕنی۔

کٲم نکھہِ والنٕژ:-کٲم پوٗرٕ کرٕنی، اَنزراوٕنی۔

کٲم نیرٕنی:-حاجتھ نیرُن، مقصد برابریُن۔

کٲم ہیٚنٕژ:-۱۔کامہِ لاگُن، زورٕ کٲم کرناوُن۔۲۔یہٕ چھےٚ لکھہ تہٕ۔

کٲمِل:-[مۆل: کٲمِل < ع: کامِل]۔۱۔پوٗرٕ سورُے۔۲۔ماہِر۔کٲرٕ گر۔۳۔پوٗرٕ رمُت لیٚوٕ کھمُت۔عالِم۔۴۔ووتمُت۔

کٲمبِل:-[م۔مۆل: کامبل < س: کامپلہ]۔اَکھ دوا یُس کھشرِس گَھتھ لاگان چھہِ۔

کٲنٕژ:-وِچھو "کٲنی"۔

کٲنی ۱:-[م۔مۆل: کٲنی]۔مکانٕک پیٚٹھیُم پوٗر۔

کٲنی پور:-وِچھو "کٲنی"۔

کٲنی ۲:-[< ف: کانی،مُ۔لعل کانی]۔۱۔کٲژ ہُنٛد، پتہٕ وَتھ آمُت۔۲۔زاتٕل اَصیٖل۔

کٲژ ۱:-[م۔مۆل: کاژ < پراکرت: کَھتی < س: کَھنہٕ] ۱۔(گاسہٕ ہیٚترٕ ٹیک) ڈیر، گاسہٕ کھون۔تیوٗتاہ یٔت کھونہٕ منٛز سارنہٕ ییہِ۔م: گاسہٕ کٲژ، زِنی کٲژ۔

کٲژ ۲:-[م۔مۆل: کٲژ < وُچھو۔کون]۔سُہ یُس اَکِس اَچھ کانٛہہ نوٗقص آسہِ، یُس زنانہٕ اَکہِ اَچھ بوزنہٕ آسہِ یوان۔

کانہِ بنہٕ روٗن شونٛگن کیٛت بنیوس نہٕ کُتھ:-یہٕ چھہٕ تمہِ پھرِ ونان ییٚلہِ کٲنٛسہِ وومیز برخلاف کیٚنٛہہ بنہٕ مگر مومٔلی کسرٕ باپتھ ہیٚکہِ نہٕ تمیٚک فٲیدٕ تُلِتھ یا ییٚلہِ ضورُورتہٕ وِزِ بوٚڈ حاجتھ نیرٕ مگر لوکٹہٕ حاجتہٕ باپتھ بند گژھہِ۔

-ہ کٲژ ۳:-وِچھو "کٲنی" مِ: کٲنی پور، کٲژ پٹھ۔

کٲژ ۴:-[م۔مۆل: کٲژ < س: کانٛڈ]۔۱۔لرن ہنٛز اَڈج،

کانہِ پٹٕل ۔۲۔ لأو مۆریوسہٕ کانگر ہیتھ ووٗنس لگہٕ۔

کانہِ پٹٕل :۔لرِ کانہِ ہنز اُڈٕ جہِ۔

کانہِ پٹٕزٕ :۔۱۔ لرِ کانٛہن ہُند اُڈٕ جہِ پٹٕل ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) اوٚ ژھ (انسان)۔سُہ انسان یَس زُو زبتہٕ آسہِ نہٕ۔

کانہِ پھسٕل :۔(ورگہٕ) پٔتِن کانٛہہ نکھہٕ ڈکھ شخص یُس مستقبل تکلیف واتناوِ۔

کانہِ تکل روزُن :۔(یِژ کال) کینہہ روزُن ۔ عداوَتھ روزُن، خار روزُن۔

کانہِ دود :۔اکہِ بیمارِ ہُند ناو۔ جوتلہِ جم۔ نوٗمونیا۔

کانہِ کانہِ کرُن :۔چھلہِ چھلہِ کرُن، اَلگ اَلگ کرُن، کُنہ چیزُک کرِ بیتھ مُژرتھ ژھٔنُن ۔

کانہِ کانہِ گژھُن :۔۱۔ الگ الگ گژھُن، تانہٕ تانہٕ گژھُن، استیمالس لایق روزُن۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کمزور گژھُن ۔۳۔ پریشان گژھُن۔

کانہِ گمٕل :۔نرم۔ یُس کأم ہیتھ مانہٕ یاوُلی ڈلی کرِ۔

کانہِ کیٛل :۔عداوَتھ، دُشمنی، خار، اَزرُون۔

کأنی بَرنہٕ تٕنی :۔(ورگہٕ) زُو کرُن، زُوَس مژرُن، طاقتھ کرُن۔ ٹٔی کھسٕنی۔

کأنی بوڑٕنی :۔کانہِ ہنز اُڈج پھٹنہٕ بیتھ کُنہٕ ہٕج گژھنی یا وَر کھیٚنی۔

کأنی تڑ کرٕنی :۔کاٹھُن، درِیٛٹھُن، کأم کرنُک عادَتھ نہٕ روزنہٕ، کنہِ آلسُی بٔنُن۔ اڈکایُر گژھُن۔

کأنی کھسٕنی :۔۱۔ یڈ تٕنی، بوچھہِ ژٕلٕنی ۔۲۔ بیمارِ درٛاو یا اوٚژھ اِنسان بیتھ زُو کرُن۔

کأنی نرماوٕنی :۔(کُنہِ) کامہِ تَن دِنی ۔

کأنی راوُن :۔۱۔ اَکھ اَچھ خراب کرٕنی، اَچھ کڈٕنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) دَتھ بیتھ ٹوٹہٕ ناوٕنی۔

کأنی لچھ :۔سو لچھ یَتھ نہٕ ٹٔپن وِزِ آواز نیر۔

کأنٛپہِ ناوُن :۔[مۆل: کانٛپناو<س: کمپہ]۔ کھوژٕ ناوُن، اَہرِ بیہناوُن۔ کینٛہہ تیٛتھ کرُن یمہِ سٟتی تھر تھراَژِ۔

کأنٛپہٕ وُن :۔(ورگہٕ پأٹھی) کھوژُوُن، لبد، بُزدِل۔

کأنٛپُن :۔[مۆل: کانٛپ<س: کمپنہٕ]۔ کھوژُن ۔ ڈرُن، اَلہِ اَلہِ اَژُن ہأبتہٕ سٟتی ٹٔنُن ۔

کأنٛپھ :۔[ن۔مۆل: کانٛپ<س: کمپہ]۔ نٔژھ۔ لرزٕ۔ تھر، ہیم

کأنٛپھ اَژُن :۔نٔژھ اَژٕنی، کھوژُن، لرزٕ اَژُن، تیٛتھ خوف آسُن یتھ دُبارٕ جُرتھ کٔری زِنہٕ۔

کأنٛپھ ژانُن :۔ہأبتھ تھوُن، تیٛتھ کینٛہہ کرُن یمہِ سٟتی خوف اَژِ۔

کأنٹہٕ۱ :۔[ن۔مۆل: کانٛٹ<س: کنٹہ]۔ تارٕ ژ۔ لوکٹ ترٕ کریوسہٕ سون بیتھ تولنس لگان چھےٚ۔

کأنٹہٕ دیُن :۔۱۔ کھےٚ ناش کرُن ۔۲۔ پزِنہٕ پیٛٹھی خرچس کمی کرٕنی ۔ کفایتھ کرُن ۔ بوٗزی تھےٚ خرچ کرُن۔

کأنٹہٕ کرُن :۔پزِنہٕ پیٛٹھی خرچس کمی کرٕنی۔ کفایتھ کرُن۔

کأنٹہٕ۲ :۔[ن۔مۆل: کانٛٹ<س: کنٹہ]۔ کُنٛڈ۔ کوو۔ تارِ بیتھ ہُند پوو۔

کائبٹر :-[ن۔مؤل: کائنٹر]۔ژَرِ ہُند ژ۔

کائٹن :-[ن۔مؤل: کائنٹ <س: کرٗنتنہٕ]۔کھٹُن۔ژۆرِ
تھاوُن۔پتھ رَٹُن (مال یا أنسہِ بیترِ)۔کانہہ چیز
اُستھ گرِتھ نہٕ دیُن۔

کائنٹھِ گن :-[ن۔مؤل: کائنٹھِ گن <؟ کانڈ+گندھ]۔اَکھ
خوشبودار ٹانٹھ یا گوندٕ یُس ہو کھناُوِتھ زالان چھِ۔

کائنٹھ مال :-[م۔مؤل: کائنٹھ مال <س: کنٹھ+مالا]۔
زَنانَن ہُند اَکھ ہُٹہٕ وَس۔

کائنز :-[ن۔مؤل: کائنز <س: کانجکا]۔سُہ ترَل چنہٕ باو
یتھ ژۆکہِ کھورمُت آسہِ۔سُدرِ کائنز۔

کائنز پوو :-۱۔سُہ بانہٕ یتھ منز کائنز بناونہٕ ییہِ۔
۲۔(ورگہِ پأٹھی) سُہ چیز یُس استیمال کُری کُری تہٕ
ستہ ستہ پُشنیہ کِنہ سورِنہٕ۔

کائنز مٔیل :-نکھہِ تل کبن پانہٕ وأنہ کھبنہٕ چیز ہبنہٕ
دِنک توٗلُق۔

کائنسر :-[<ہِچھ "کونس"]۔۱۔وأنسہِ منز کم آسُن حالتھ۔
۲۔فصل بیترِ پتھ گرٛینچ یا ژیری وَونہٕ ینچ حالتھ۔

کائنسر گرٛھن :-فصل بیترِ ژیری وَونہٕ ین۔واپھ
ڈُلتھ بیول وَونہٕ ین۔

کائنسہِ :-أکس نتہٕ بیٚیس۔

کائنسہِ تہٕ :-أکس نے بیٚیس۔

کائنسہِ نتہٕ کائنسہِ :-أکس نے تہٕ بیٚیس۔وار یا ہو منز
کائنسہِ أکس۔

کائنسہِ ہُند :-۱۔تسُند یُس نہٕ وِیۆ دآسہِ۔تسُند ییٚمی ہنز
نہٕ خبر آسہِ۔۲۔تسُند ییٚمی سُند ناو ہیٚز نہٕ۔۳۔وار یا ہو
منزٕ أکی سُند۔

کائنسہِ :-[م۔مؤل: کائنس <س: کینیس]۔تمہٕ لنجہٕ یمہٕ
پھلیہ یا موٕ دِس منز پتھ روزَن۔داں مونجہٕ دزامرٕ
تمہٕ ژیری ہایہ یمہٕ پیٚنہٕ روزُن۔

کائنگنی :-[م۔مؤل: کائنگنی <س: کنکنہٕ]۔اکہِ خاص قسمُک
وُٹھی وُٹھی کرِتھ کرِیُس نربن چھُ لاگنہٕ یوان۔

کائنگنہِ بنٛد :-۱۔اَکہِ خاص قسمُک وُٹھی وُٹھی کرِتھ کر۔
۲۔نأری وَن یُس بڈُس دۆہس بیترِ پیٹھ ہُرٛس
گنڈان چھِ۔

کانگنہِ مَس :-کأوی دارس۔

کائنگنہِ دۆر :-ژۆچہِ تھُرِتھ پتھ گن رۆدی میٚتس اُٹس بناونہٕ
آمُت گُلی چہِ دۆر۔

کأوِنی :-[م۔مؤل: کأوِنی <س: کا کی]۔کاوِ ہنز مادٕ۔

کأہل :-[مؤل: کأہل <ع: کاہل]۔آلژی، نہٕ ہبکن
وول۔۲۔بیمار۔م: سُہ اوس کأہل۔

کِبر :-[ن۔مؤل: کبر <ع: کبر]۔غۆرۆر۔نخوتھ۔دزٕ بُز۔سکر

کِبر کھسُن :-مبنکن ہسر ہسر گرٛھن، ژھوکھ گرٛھن،
پانس برابر نہٕ کانہہ باسُن۔

کبر گرٛھن :-مبنکن ہسر ہسر گرٛھن، غۆرۆر گرٛھن،
أچھن کھسُن۔

کبرَن ژۆ ٹمُت :-سُہ یَس سخ ہسر ہسر آسہِ۔یَس أچھن

آسہِ کھوتمت ۔یُس نہٕ کانٛہہ ٹارٕی آسہِ کھسان۔

کِتاب:۔[م۔مؤل: کِتاب <ع: کتاب]۔ا۔اَتھہٕ سٟتؠ لیکھتھ یا چھاپتھ یِکہٕ وَٹہٕ کرنہٕ آمتؠ واریاہ کاکد ورق۔

۲۔کھاتہٕ رَجسٹر۔یتھ پیٹھ حساب درٕج آسہِ۔

۳۔واریاہ کاکد وَرق یمن کنٛہ جِلدٕ گرتھ آسہِ۔

کتاب وِچھنہٕ:۔ا۔کِتاب وِچھتھ کانٛہہ کتھ شبہٕ کرٕنؠ۔ کانٛہہ حوالہٕ سَر کرُن۔۲۔ہٕی کھاتس نظر دِنؠ۔

کتابہٕ:۔سردلوس تراونہٕ آمت کرٕوتھرُن۔

کِتلؠ:۔[م۔مؤل: کِتلؠ <اَنگ: کیٹل Kettle]۔ ہٕی گرتھ اَکھ خاص قسمُک بانہٕ یُس چاے بیترٕ پھرنس لگان چھُ۔

کِترا:۔[ان۔مؤل: کِتر]۔ا۔اَکس جاناوارسُند ناو۔ ۲۔اَکھ کاشُر گرام۔

ہ۔کِترٕ۲:۔[ان۔مؤل: کِتر]۔اَکھ گگرزاتھ۔م: اَن کِترٕ۔

کِترٕ۳:۔ٹیٹھہٕ۔نکہٕ نکہٕ کنہٕ پھٔلۍ۔

کِتھ، کیتھ:۔[مؤل: کِتھ، کیتھ <س: کتھم]۔کمہِ طریقہٕ، کمہِ وَتہٕ۔

کِتھہٕ پأٹھؠ:۔ا۔اَکہِ طریقہٕ۔کمہِ آیہِ۔کُس طریقہٕ وَرتاوِتھ۔۲۔اَتھ چھنہٕ وَتھے۔یہ ہیکہٕ نہٕ بٔنِتھ۔

کِتھہٕ تام کنہٕ:۔مُشکلہٕ سان کُنہِ۔مَسلَہ سازٕ حل گرتھ۔

کِتھ کنہٕ:۔ا۔کمہِ وَجہہ کنہٕ۔کُس طریقہٕ وَرتاوِتھ۔ ۲۔اَتھ چھنہٕ وَتھے۔

کِتر:۔[ان۔مؤل: کِتر]۔ا۔اَچھ اَندر کینٛہہ ژاٹُت یِمہٕ ستؠ اَتھ ڈَل یِیہِ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھؠ)۔تہِ یِیہِ کھران آسہِ۔یُس نہٕ زٕ رِتھ ہیکہِ زٕ بن۔

کِٹھ:۔انگریزی طرزٕ پتلون چالہِ سۄنہٕ آمژ کأٹھ۔

کَج:۔[م۔مؤل: کَج <س: کپلہ]۔ا۔ہچُھ چل، ہچ میخ، کانٛسہِ ہُند ڈوکھ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھؠ) ٹلُژ نشہِ۔

کَجن کھسُن:۔وُتھی وُتھی گرٕھن۔تھوٚد وُتھی وُتھی کرٕ کہٕ دِنہِ۔یورٕچ کتھے نہٕ بوزٕنؠ۔

کَجن کھارُن:۔ا۔مشہوٗر کرُن۔ ناماوأری کرٕنؠ۔

۲۔بدنام، بزگار کرُن۔

کَجن لدُن:۔ وِچھو ''کج کھارُن''۔

کَجہٕ کوٗنٛش:۔کھورتھوٚد اَکہِ قسمُک کھور بانہٕ۔

کَجہٕ کھڑاو:۔اَکہِ قسمٕچ کھڑاو یتھ پُشتہِ بَدل نوٚکرِ منز کَج پھساوِتھ چھےٚ آسان یوسہٕ کھور نوٗٹھہٕ کِس زأرلس منزٕ بند چھےٚ روزان۔

کَجہٕ مَج:۔اَکہِ قسمٕچ اَلہٕ بانٛہٕ یتھ کورِ ہچہٕ بدل دولہِ وِرام چھےٚ آسان۔یتھ تلی مہِ اَندٕ کَجہِ پھساوِتھ چھےٚ یوان تھونہٕ،اَمہِ قسمٕچہِ اَلہٕ بانہٕ سٟتؠ چھےٚ آب لدِتھ زٔمینس وَتہٕ پھٹراونہٕ تہٕ پچھ وہلاونہٕ یوان۔

کَج کڈٕنؠ:۔ہیٖری ہیٖری والنٛہٕ۔نشہِ والُن۔

کَج گرٕھنؠ:۔نشہِ کھسُن۔پنٕن پان کیٛاہتام باسُن۔بوٗش کھسُن۔

کُجر:۔[ان۔مؤل: کُجر <وِچھو ''کَج'']۔کأرکُل۔نٔخرٕ۔

کُجر کرُن:۔نٔخرٕ کرٕنؠ۔وَرکرٕنؠ۔

کِجَر گرٛوٗھن:- کاٗکرِگی گرٛھنۍ۔ کھُسن نٔخرٕ گرٛھنۍ۔

کِچَن:- [ن۔مؤل: کِچَن > اَنگ کِچَن Kitchen] لنگر، بوج خانہٕ۔ رَنن کُٹھ۔

کِچہٕ:- ژھاوجہِ پوٗژ۔

کِچہٕ موٗمہٕ:- [ن۔مؤل: کچہٕ موم]۔ اَکھ بوٗٹۍ یَیچ گوٗژ دَوٲس لگان چھےٚ۔ دیان یہٕ چھےٚ بلغمس دَوا۔

کِرَم:- [ن۔مؤل: کِرَم > ف: کِرَم/س: کرِمہِ]۔ ا۔کیوٗم۔۲۔پاٗژٕ کیوٗم۔

کِرَم کش:- رٕیشَم کیمۍ رَچھن وول۔ یُس پاٗژٕ گوٗژ کارکران آسہِ۔

کِرَم کشی:- رٕیشَم کیمۍ رَچھنٕک کار۔ پاٗژٕ گوٗژ کار۔

کرَن:- [م۔مؤل: کرن > س: کرنہٕ]۔ ژٕ ژ۔ پژو۔

کِرامَن:- [ن۔مؤل: کرامن > ع: کِرامَن]۔ (ورگہٕ پاٗٹھۍ) کوڈَر، پھیچہٕ، کیرن۔

کِرامَن وۄتھنۍ:- سَخ اِشتیاق کھسُن۔

کِرامَن کاتبِین:- [ن۔مؤل: کِرامن کاتبِین > ع: کِرامن کاتبِین]۔ تِم مَلکھ یِم انسانہٕ سٕندۍ اعمال لیکھتھ تھوان چھِ۔

کرایہ، کرایہٕ:- [م۔مؤل: کرایہ > ف: کرایہ]۔ ا۔ تمہٕ ہارٕ یمہٕ کاٗنسہِ ہُنٛد کانٛہہ چیز استیمال کرنہٕ باپتھ دِنہٕ یوان چھےٚ۔۲۔ٹانگہٕ یا یَسہِ ہار۔

کرایہٕ چیرٕی:- سُہ کاگد یتھ اَنٛدر رَگنہِ چیز کہِ یا جایہِ ہنٛز کرایہِ ہُنٛد تفصیل تہٕ شرایط دَرج آسن۔

کِرایہِ دٲر:- سُہ یُس بیےٚ سُنٛد چیز کرایس پیٹھ رٹہِ۔

کِرایہِ دِیُن:- کانٛہہ چیز یا مکانہٕ بیترِ کاٗنسہِ کرایس پیٹھ استیمال کرنہٕ باپتھ دِیُن۔

کِرایہِ کرٕنۍ:- کِرایہِ گنڈنۍ۔ کرایہ مشخص کرٕنۍ۔

کرایہِ کرٕن:- کرایہِ پیٹھ ہیوٗن۔

کِرایہِ موہنیو:- سُہ نوکر موٗزوٗر یُس موٗزوٗرِ پیٹھ کاٗم کران آسہِ۔ نقدی اُجرتس پیٹھ کاٗم کرن وول۔

کرایہِ نامہٕ:- وُچھو ”کرایہٕ چیرٕی“۔

کِرائے یِنۍ:- کاٗنسہِ پتٕن کانٛہہ چیز بیترِ استیمال کرنہٕ باپتھ ماوضہٕ ہیوٗن۔

کِرٕ:- [مؤل: کِر > اَنگ: کرٛست > یوٗنانی: کرٛستاس: اَنگ: کرٛستانٛی۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھۍ) دہنہٕ ڈوٗلمت۔

کِرٕ گرٛوٗھن:- ا۔عیساےٚ بَنُن۔ عیساےٚ مذہب پانہٕ ناوُن۔ (ورگہٕ پاٗٹھۍ) دہنہٕ ڈٕلُن۔

کِریمان:- ا۔حاٗرتھ۔ حاٗرانگی۔۲۔پھبزار۔ اَلچھ۔

کریمان کھینۍ:- (ورگہٕ) اَلچھ کرُن۔ پھبزارٕ دِنۍ۔ حاٗرتھ کھیوٗن۔ حاٗران گرٛوٗھن۔

کِریمان وۄتھنۍ:- کوڈَر وۄتھنۍ، پھیچہٕ وۄتھنہِ۔

کِرِی کچہٕ مُہل:- [ن۔مؤل: کِرِ کچہٕ مُہل > س: کرِ کچہٕ + مُسلہٕ]۔ کرٕچم کوٗٹ۔ اکہِ قسمٕک نوٗوُن تہٕ ہیوٗر بون کرٕوٗن کوٗٹ۔ یتھ پیٹھ شُرۍ سوارٕ چھِ کھسوان۔

کرِ یانہٕ:- [ن۔مؤل: کرِی یان > س: کرٛیانکہٕ۔ کرٛی] نوٗن تیل بیترِ یمہِ ووٗنۍ کنان چھِ۔

رکردار :-[ن۔مؤل: کردار <ف: کردار]۔۱۔عمل ،طور طٔریقہٕ،ووتھ بیٹھ۔چال چلن۔۲۔کُنہِ ڈرامہس بیترِ منز کانٛسہٕ ہُند پارٹ کرُن یالاگُن۔

رکرز :-کیمبن ہُند اکھ قسم یُس آبہٕ ڈوربن منز آسان چھُ۔اکہِ قسمکی کیمٛی یم پنٛیٚ وأنس ستیٚ ماأدنن منز پھالان چھِ۔

رکرکٹ :-[ن۔مؤل: رکرکٹ <اَنٛگ : رکرکیٹ Cricket]۔اکہِ قسمک ہالہٕ گنٛدُن۔

رکرِژہامی ترٛیلہٕ :-ترٛیلن ہُند اکھ جانٛہٕ قسم (یُس یژٕپأٹھی رکرِژہامی بوان اوس)۔

رکس :-[م۔مؤل: رکس <س: کنشٹھا]۔أنٛدِم اونٛگج یوسہٕ باقیہِ اونٛگجو کھوتہٕ ژھوٚٹ تہٕ زأوِج آسان چھےٚ۔

رکسہ پٹھ نہٕ تُلُن :-کانٛہہ اہمیتھ نہٕ دِنٛی، چکارس نہٕ اَنُن۔

رکس پوٚت :-سوٕ چھِو "کیُس"۔

رکشہٕ :-[ن۔مؤل: رکش]۔شِکس، ذٟلتھ۔

رکشہِ لَد :-شِکس لَد، ذأژلد۔

رکشہِ یِن :-شِکس یِن، ذٟلتھ ہیٚنٛی۔

رکشمِش :-[م۔مؤل: کشمِش <ف: کشمِش]۔اکہِ قسمٕچ کوڈٕر وَرأے ہو کھنأوِتھ دَچھ۔

رکشمِش دَچھ :-دَچھِ ہُند اکھ قسم۔

رکفایتھ :-[مؤل: کفایت <ع: کفایۃ]۔۱۔نرمی یا کمٛی۔ (مولس بیترِ منز) رِعایتھ۔۲۔کم خرچی۔

رکفایتھ شأری :-کم خرچی، قناعتھ۔

رکِکُر :-اَکھ کُل یتھ تازٕ لنٛجن زٕ تھٕ زٕ تھٕ کنٛڈی چھِ آسان تہٕ سبٹھاہ بٟنٛخ جوش چھِ نیران۔

رکِکر بٹول :-(ورگہٕ) سُہ چیز یتھ پھبنس تأر لگہِ نہٕ۔ مُ: سوٕ یہٕ بٹول۔

رکِل :-[م۔مؤل: رکِل <س: کیِلہ ،مُ: آسامی۔رکل]۔ سُتہٕ۔دَکہٕ۔ترُس۔ترُنگ۔

رکِلہ کلہِ کھیوٚن :-سَخ جیرِ ٹُلُن۔

رکِلہ دِنہٕ :-ترُنگی دِنٛی۔ترُسی دِنٛی۔دَکہٕ دِنٛی۔

رکِلف :-اکہِ قسمٕچ پن یوسہٕ مَستس بیترِ تھوان چھِ۔

رکِلم :-[ن۔مؤل: رکِلم <س: کلمہ]۔۱۔سوٚ ٹانٛٹھ یوسہٕ لَشہِ تاوِتھ کڈنہٕ چھےٚ یِوان۔لَشہِ کڈنہٕ آمٕت ٹانٛٹھہِ دار تیٖل۔۲۔تارکول۔

رکِلو گرٛام :-[ن۔مؤل: کلو گرام <اَنٛگ : کلو گرام۔ Kilogramme]۔ساس گرام وَزَن ۔ ساس گرٛام وَزنُک پرمانہٕ۔

رکِلو میٹر :-[ن۔مؤل: رکِلو میٹر <اَنٛگ : کلو میٹر Kilometre]۔ساس میٹر زیٛچھرُک اکھ میژ۔ اَلہٕ پلہٕ ۵/۸ میل۔

رکِلو واٹ :-[ن۔مؤل: رکِلو واٹ <اَنٛگ : کلو واٹ: Kilowatt]۔ساس واٹ (بجلی پاور)۔

رکِنأرۍ :-(پلو بیتر ٹیگ) أندمہِ طرفُک کامہِ دار حاشیہٕ۔

کنٛ :-[<س: کرنے]۔۱۔طرفہٕ۔مِ: ہپأرۍ کنٛ، ہُپأرۍ کنٛ۔۲۔موکھ، خأطرٕ۔مِ: مےٚ کوٚر یہٕ چأنۍ کنٛ۔

۳۔کائنسہِ ہنٛز رایہِ۔م: تِسنٛدی کَنی چھُ تِسنٛد بوے اَپُز وَنان۔۴۔ وَجہ آسنہٕ موٗجوٗب ۔م: اَوٕ کَنی، یوٗ کَنی۔

کَنٛج :-[موٗل: کَنٛج <س: کپلہ]۔سو گُرتھ ہچہ کھنٛڈ یاسہٕ لٔر یتھ (لُٹھی کَنٛجہِ اُٹھس گٔنڈن وِزِ) لٔٹھ ہتی ٹھَل چھِ کڈان۔

کول :- وُچھو"کیوٗل"۔

کِہر :- وِچھو"کرٛؤر"۔

کِہُن :-[ن۔موٗل: کہن ۔خوشکھ زمینس اَکھ فصل تُلِتھ دوٗیمہ واپھ تھکھ دیُن۔

کی :-مَس یُس کُنگی دِنہٕ وِزنیران چھُ۔وِچھو"کیہہ"تہٕ۔

کیت :- [ن۔موٗل: کیت <س: کیتُہ ]۔ا۔اَکہ لٔڑ تارک ناو۔جوتش علمہٕ موجوٗب اَکھ گرٛہ یُس گرٛزنہٕ کَنی نوٗیم چھ۔۲۔(ورگہٕ پاُٹھی)ہوٗ کھمت، زاُدیٖل۔

کیتمہٕ :-[موٗل: کیتم <س: کیتُہ]۔نٔیک ۔زاُدیٖل۔سُہ یُس زوٗکران آسہِ نہٕ۔

کیٹھ :- [ن۔موٗل: کیٹ <س: کیٹہَ ]۔ا۔ (ورگہٕ پاُٹھی ) زاُدیٖل، نٔیک ،ناچیز ،یُس کیٛنہہ لوٗنہٕ یُس نہٕ لگہٕ ہار آسہِ۔

کیچکھ :-[ن۔موٗل: کیچک]۔ اَکھ وٕ ہنی گاسہٕ یتھ وُتھرن زٔٹھی نَل چھِ آسان تہٕ سفیدرَنگہٕ چھِس پوش پھولان۔

کیپر ( گرٛھن) :-سوٗرے کینٛہہ میٖسر آسُن ، گُنٛج وبٕ ھےنہٕ آسُن۔

کیپرتَن :-[ن۔موٗل: <س: کیرتنا]۔ دَیہ ہنٛدی گون گیوٗنی بجَن۔

کیپسَر :-[ن۔موٗل: کیپسر <س: کیشَر]۔تمہٕ تیٖنجہ یمہ پمپوشس منٛز س آسان چھےٚ۔

کیپش :-[م۔موٗل: کیپش <س: کیشَہ]۔مَس ۔مَس وأنکی۔مَس لٔٹھر۔

کیپش پأراوُن:-مَس پارُن۔مَس شیرُن۔

کیپشو :-[ن۔موٗل: کیپشو <س: کیشَو]۔بگوان کرٛشنہٕ سُنٛد اَکھ ناو۔

کیف :-ا۔سُہ سامانہٕ یمہٕ کہِ ذٔری یہِ بوتلن یا تنگ گلہٕ بانن منٛز تیٖل بیترِ بران چھِ۔۲۔عربی بُرقُک پیٹھِمیم پلو۔

کیناوَر:-یُس ییتھے ناراض گژھان آسہِ۔وَرلَد۔ہوٗل۔ یَس کانہٕ تِل روزان آسہِ تہٕ یُس اِنتقام ہوان آسہِ۔

کیٖنہٕ :-[موٗل: کین <ف: کینہٕ]۔وَر۔ناراضگی۔دُشمنی، کانہٕ تِل روزنُک عمَل۔

کیٖنہٕ تھوُن :-ناراضگی نہٕ ژٔلنی۔ناراضگی اَتی روزٕنی۔

کیٖنہٕ روزُن:-۔ناراضگی روزٕنی ،کانہِ تِل روزُن۔

کیٖنہٕ کڈُن :-ناراضگی ژٔلراوٕنی ،مَلالہٕ دوٗر کرُن۔

کیٖنہٕ گرٛھن :-اَتھس اَندرنہٕ یتھ کُنہِ چیزُک کانہِ تِل روزُن۔

کپول:-[مؤل: کپول <س: کپولہ]۔ کنُے۔

کپہہ:-[م۔مؤل: کپہ <س: کپشہ]۔ سہ مَس یُس کنگنی دِنہٕ ستی نیرِ۔

کپہہ رَز:- مَس والن وُٹھنہٕ آمژ رَز۔

کپہہ وال:- مَس وال یُس دژ امُت

کپہہ ہُر:- کنگنی دِنہٕ ستی دژامتِس مَستس گاٮ۪مژ کوتھ۔

ٕکتہٕ ٕکتہٕ:-(یژ پاٗٹھی کاٗنسہِ ہُنُس، کرٕھن یا ہٕلس) اونگجہ ٹیٖنڈ بوٚ ستی زیٖر دِنی۔ یُتھ تَس کھرِ یااُسن ییہِ۔

ٕکتہٕ ٕکتہٕ کرُن:-اونگجہِ ٹیٖنڈ بوٚ ستی زیٖر زیٖر دِنی یُتھ کھرِ یااُسن ییہِ۔

ٕکتہٕ ٕکتہٕ گژھن:- شوق گژھن۔ طمع گژھن۔ مَنَس گژھن۔ وُزٕ وُز گژھن۔

ٕکتہٕ ٕکتہٕ نہٕ گژھن:- وبژن نہٕ۔ آنٹہِ نہٕ یِن۔ اَلہٕ گُز ارنہٕ گژھن۔

ٕکٹہٕ:-ا۔ نقلی۔ اصل نہٕ۔ عارضی۔ م: ٕکٹہٕ موکھتہٕ۔ ۲۔ خام۔ پۆر ماہرنہٕ۔ م: ٕکٹہٕ مَلہٕ۔

ٕکٹہٕ کرُن:- ہوٚل گاٮ۪تس مکانس ڈکھ دیُن یا کرُن، عارضی کھڑا اگرِ تھوُن۔

ٕکٹہٕ کال:-[ن۔مؤل: ٕکٹہٕ کال <س: کالہ کوٗٹہ]۔ سخ کرٕھن، پزٕنہٕ پیٹھی کرٕپن۔

ٕکٹھ:-[م۔مؤل: ٕکٹھ <س: کرشٹہ]۔ عاٗب۔ نوقص۔ کسر۔ کمی۔ داغ۔

ٕکٹھ کڈٕنی:-(اَپزٕ یا پزٕ) نوقص ژارُن۔ غلطی تُرٕ راوٕنی۔

ٕکر:-[ن۔مؤل: ٕکر < آوازِ پیٹھ]۔ ا۔ سو آواز یوسہٕ دارِ دَروازس بیترِ (دِنہٕ یا مُژراونہٕ وِزِ) نیرِ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) ژھوکھ۔ ٕکس۔ ۳۔ کورِ پلوٚچ یا کھوربانچ آواز۔

ٕکرِ تلہٕ ژیُٹن:- آوازِ تلہٕ خبر گژھنی، چالہِ تلہٕ تُلتھ نیُن، اِشارِ تلے ژیُٹن۔

ٕکر ژٕر:-ا۔ سو آواز یوسہٕ درواز یا داٗر بیترِ دِنہٕ یا مُژرنہٕ ستی نیرِ۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) ستھ صدا۔

ٕکرٕ ٕکر:- سو آواز یوسہٕ نُوس پلس یا کھوربانس نیرِ۔

ٕکر ٕکر کرٕوُن:- نوٚو ییتھ وُنہٕ تاہ تہٕ مُژرنہٕ آسہِ نہٕ آمُت۔ بلکل کورِ۔

ٕکر گژھن:-ا۔ بدنامی گژھنی ۲۔ ژھوکس کُن گژھن۔

ٕکر نیٖر تھ ژٕلُن:- ژژھ کتھ نیٖر تھ ژٕلنی ییمہِ تلہٕ بیٚیس پےٚ لگہِ زِ معاملہ کیاچھُ بے خبر پاٗٹھی تیُتھ کینٛہہ وَنُن ییمہِ ستی سرٕس فاش گژھِ۔

ٕکرٕژر:- کُنہِ چیزٕک اُدریہ۔ سژ ٕہچار۔

ٕکرٕژناوُن:- کینٛہہ کُنہِ ترٕل مادٕس مژ بوڈ ناوُن اُدراوُن۔

ٕکرٕژُن:-[> وُچھو ''ٕکرٕژُن'']۔ بوڈوَن۔ اوڈر کرُن۔

کرٕژوُن:- وُچھو ''ٕکرٕژُن''

کرٕژُن:-[ن۔مؤل: ٕکرٕژ <س: کلد]۔ بوڈُن۔ اُدرُن، برنہٕ یُن۔

کِکہٕ رارے:-[م۔مؤل: کِکہٕ رارے < آوازِ پیٹھ]۔ ا۔ سو آواز یوسہٕ کُنہِ ہچِوِس چیٖزس اَڑ یادَرٕ ستی نیرِ۔

۲۔ بور بیترِ گوٚب گژھنہٕ کِنۍ آمُت جیرٕ۔ ووٗر ووٗر۔

۳۔ اِنٛہہ رارے۔

ٚکِکہٕ رارے ووٗتھِنۍ :-۱۔ اَرٕ میلنہٕ کِنۍ کرکھ گژھن۔ ۲۔ ووٗر ووٗر لگُن۔ اِنٛہہ تہٕ اِنٛہہ کرُن۔

ٚکلَب :-[ن۔ مؤل: ٚکلب < اَنگ: کلب Club]۔ لۄکن ہنٛز سوٗ جماتھ یتھ کانٛہہ مُشترکہٕ مقصد آسہِ تہٕ یہِ مقصد باۄل اَنہٕ خاطرٕ آسہِ خاص خاص وقتن پیٹھ سمان۔

ٚکلاٗرک :-[ن۔ مؤل: ٚکلارِک < اَنگ: کلارک، Clerk] مُنٛش، گماشتہٕ۔ مُحرِر۔

ٚکنِکھ :-[ن۔ مؤل: ٚکنِک < س: کنکہ۔ م: پنجابی: کنک] اناجُک اَکھ قسم یمیُک دانہٕ کاژرٕ چھُ آسان۔

ٚکنکہٕ توٗسۍ :-شوخ کاژُر (بیر)۔

ٚکنکہٕ دار :-سُہ زمین یتھ کنِکھ وۄتھ آسہِ یا ٚکنکہٕ فصل تُلنہٕ آسہِ آمُت۔

ٚکنکہٕ رَنٛگ :-کاژُر رَنٛگ۔ تیُتھے رَنٛگ یتھ ٚکنکہٕ فصل آسان چھُ۔

ٚکنکہٕ کوٚش :-ٚکنکہٕ دبل۔ سُہ توہ ہیوٗ یُس ٚکنکہٕ اُتٕس چھانٛتھ نیرِ۔

ٚکنکہٕ واٹھ :-رٔنتھ ٚکنکہٕ اَرداہ، پھۄٚٹرِتھ ٚکنکس رَننہٕ آمُت بتہٕ ہیوٗ۔

ٚکنکہٕ ہارۍ :-سُہ وَق یتھ منٛز ٚکنکہٕ فصل تیار چھُ گژھان۔

ٚکنکہٕ ہیوٗل :-سُہ ہیوٗل یمہٕ منٛز ٚکنکہٕ دانہٕ نیران چھِ۔

ٚکنُن :-[مؤل: ٚکن < س: کرٛینہ]۔ مولس بَدل دِنُن، کُنہٕ چیزس یا سامانس بیترِ بدلہٕ۔ گرٛاکس پانٛسہٕ ہینۍ۔

ٚکنتھ کھیوٚن :-۱۔ پانٛسہٕ وَٹنۍ، مول وُٹھتھ خرچ برچ کرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پانٛٹھی) نیلام کرُن۔ ۲۔ کانٛسہٕ ہنٛدِ ناوٕک ناجاًیز فایدٕ تُلُن۔ ۳۔ پرواہ نہٕ کرُن۔ قدر نہٕ تھاوُن۔

ٚکنُن دِنُن :-پانٛسو بَدل کینٛہہ ہیوٚن دِیُن۔ پانٛسن پھٔر کاوُن۔ (مۄلی) ہیوٚن دِیُن۔

ٚکنُن کیُت :-یہِ ٚکنُن آسہِ، ٚکننہٕ باپتھ۔

ٚکہنۍ ٚکہنۍ :-ووج ووج۔ کتھِ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ پھیُر۔

ٚکہنۍ ٚکہنۍ کرٕنۍ :-پھِری پھِری پرٛژھان روزُن۔ پتہٕ لگُن۔ اکاٗے کتھ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ وَنان روزُن۔ کرونۍ کرونۍ۔

ٚکہنۍ ٚکہنۍ لایِنۍ :-کتھِ نہٕ تھیپھے ٹھٔنۍ۔ زیر زیر دِوان روزُن۔

ٚکہُن :-[ن۔ مؤل: ٚکہہ < پراکرت: کینہٕ < س: کتھتہ]۔ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ پرٛژھُن۔ پتہٕ لگُن۔ تھیپھے نہٕ ٹھٔنۍ۔ زیر زیر دِنۍ۔ ووج ووج دِیُن۔

ٚکتیٚم :-[مؤل: ٚکتیٚم < س: کتمہ]۔ ۱۔ گُژیٚم۔ ۲۔ کٹیُگ (میٛز بانہٕ بیترِ)۔

ٚکتیٚن :-[مؤل: ٚکتن < س: کِتہٕ]۔ کمہٕ مولُک۔ کُہو۔

ٚکرُن :-[ن۔ مؤل: ٚکر]۔ بٕتھۍ کِنۍ ین۔ نرم اُستھ تز گربٕن۔ کتھِ کتھِ پیٹھ ژُونہٕ ووتھُن۔ اہرُن۔ بٕتھۍ ہُن بٔنُن۔

ءکربر:-[وچھو ''کۆر'']۔وُٹکریر۔ستمگری۔تژوشر۔

کفیتھ:-ا۔حالتھ۔احوال۔٢۔تشرٟیح۔تفسیر۔وضاحت۔

کپہٕ:-دالوٚ تنگ گوٚل گرِتھ بستہٕ یتھ اَندر تیل تھوان چھِ۔

کپُن:-[مۆل:۔کُپ < س: کوپنہٕ]۔ژ کھِ گرٕزھن، وٕنہِہِ گرٕزھن۔

کُپہٕ:-[م۔مۆل: کُپہٕ < س: کوٗپہٕ]۔تیل بیترٕ تھاوٕنک تنگ دٕہانہٕ نور۔

کپُھ:-[ن۔مۆل: کپُھ]۔کھوٗسُر (مبتک)۔

کُت:-ءکۆ وَنہٕ آمُت۔ یتھ سرٕ یہہ گومُت آسہِ۔ آبَس منز بوڈ وَنہٕ آمُت۔اڈُر۔

کُتب خانہٕ:-لائبریری۔سو جاے۔ییٚتہٕ نَس پَرنہٕ باپتھ وارِیاہ کِتابہٕ سوٚمبرِتھ تھَونہٕ آسَن آمٕژ۔کتاب گرٕ۔

کُتَرکانٛژ:-[م۔مۆل: کُتر کان]۔اَکھ وُٚسنٛز گاسہٕ ذاتھ۔

کُٹہِ:-وچھو ''کۆٹھ'' مِ: کُٹہٕ بَل۔

کُٹہٕ پال:-[ن۔مۆل: کُٹہٕ پال < س: کوٹہٕ پالہٕ]۔کُٹہٕ وال۔(کرٛشنہٕ اوتارٕ ژربتھ)۔

کُٹہٕ راجہِ:-سُہ راجہِ یُس سبٹھاہ کم علاقہٕ ماتحت اوس آسان،لوٚکُٹ راجہِ۔

کُٹُن ا:-[ن۔مۆل: کُٹ]۔ا۔مۆر،لۆر،لورِ ٹُکرٕ۔مِ: لورِ کُٹُن۔٢۔سُہ چیز یُس ژھوٚٹیومُت آسہِ یا ضۆرۆرِتہٕ کھوتہٕ ژھوٚٹ آسہِ۔مِ نیاٚ جامہٕ کُٹُن۔ گرتہٕ کُٹُن۔

کُٹُن ٢:-[ن۔مۆل: کُٹُن < س: کٹنہٕ]۔مٹُن پھٹرُن۔

مہینہٕ کرُن۔

کُٹوال:-[ن۔مۆل: کُٹوال < س: کوٹہٕ پالہٕ]۔ ا۔پُلسُک بوٚڈ اَفسر،کوتوال،سُہ افسر یُس مَٹہِ اَمن بیترٕ قٲیِم تھاوُن آسہِ۔تھانہٕ دار۔ ٢۔فرنگٕلبن ہِنٛز شِکارس گرٕزھن وول۔

کُٹوآلی:-کُٹوالہٕ سُند دفتر،تھانہٕ،چوٚکی۔

کُٹھ ا:-[ن۔مۆل: کُٹھ < پرٛاکرت: کوٹھ < س: کوشٹھ]۔کمرٕ۔

کُٹھی پوٚر:-مکانُک دوٚیِم پوٚر۔

کُٹھی نکہٕ وور:-لوکُٹ کُٹھ۔کُٹھی پیٛونتا۔

کُٹھ دین:-مہرازٕ نچوٚس تہٕ مہرِینہٕ شونٛگنہٕ باپتھ الگ کمرٕ دیُن۔

کُٹھ ٢:-[م۔مۆل: کُچھ < س: کوشٹھ]۔اناج بیترٕ تھونہٕ باپتھ گُدام۔

کُچھ ہانٛز:-سُہ بَہوٗ ہانٛز یُس دانہٕ بیترٕ اور پور ساران آسہِ۔

کُٹھَر:-[ن۔مۆل: کُٹھر < س: کوٹار]۔ٹوٚپ بالہٕ تیغول۔تھوٚنگ۔

کُٹھار:-وچھو ''کُٹھ ٢''۔

کُٹھر:-[ن۔مۆل: کُٹھر < س: کٹھور]۔مُشکِل۔کٔڑر۔ یہِ کینٛہہ کرنس وارِیاہ مشقتھ کرٕنۍ پییہِ۔یہِ پزاوُن مُشکِل آسہِ۔

کُٹھن:-ٹوٹُن۔پوٗرُن نہٕ۔

کُٹھراوُن:-مُشکِل پٲدٕ کرُن۔

گُج :- [م۔ مؤل: گُج < س: گُلہَ]۔ ا۔ لوکُٹ گُل۔ ۲۔ پَچ گوٕ گج یوسہٕ پرٛانس بیترِ مؤلہٕ تلہٕ نیران چھےٚ۔ ۳۔ رأنٛٹھ، رأٹھ دار گُل۔ مِ: دَپھِ گُج۔

گُجہِ تلہٕ لبُن :- ہٹہٕ ہٹہٕ کینژھا لبُن۔ وَتہِ پیٹھ کینژھا اَتھِ لگُن۔

گُچھے :- [ن۔ مؤل۔ کچھے < س: کوشٹھ]۔ ا۔ اناجُک کارٕ بار کرَن وول۔ توٚملُک باپار کرن وول، غلہٕ دار۔ ۲۔ یہِ چھےٚ اکھ کرٛام تہِ۔

کُدام :- [< ف: کدام]۔ ا۔ نَشہِ، رِکبر، دَزٕ بزٕ۔ ۲۔ دُم دام، کرٕ فر۔

کُدُر :- [ن۔ مؤل: کُدر < س: کودرٛو]۔ اناجُک اَکھ قسم۔

کُدُئرۍ (کُدؤئر) :- زوٗنٹھن ہُنٛد اکھ قسم یُس سُلہِ چھُ تیار گژھان مگر ژرِس کالس چھُنہٕ دَران۔

کُدؤرَتھ :- [ن۔ مؤل: کدؤرت < ع: کدورۃ]۔ ملالہٕ۔ ژکھ۔ شرارَتھ۔ غوصہٕ۔

کُڈُر :- [ن۔ مؤل: کُڈر < س: کٹھور]۔ ا۔ مُشکِل، سخ گوٚب، یہِ وبتر اُوتھ ہیکہِ زِنہٕ۔ گوٚڈ۔ ۲۔ وؤل، کوٗر، یَس ستۍ وارِیُن مُشکل آسہِ۔ یُس شرارٕتی آسہِ۔

کُڈری دوہ :- تم دوہ یم نہٕ سہَل پأٹھۍ کڈنہٕ یِن۔ سختی ہِنٛدی دوہ۔ مُشکلِن ہُنٛد وَق۔ مُصیبتُک زمانہٕ۔

کُڈُر آسُن :- ا۔ مُشکِل آسُن۔ تیُتھ آسُن یتھ ژالُن سخ گژھِ۔ ۲۔ وؤل آسن۔ کوٗر آسُن۔

کُڈُر پیوٚن :- ا۔ مُشکِل پیوٚن۔ کرٛؤٹھ پیوٚن۔ ۲۔ درٛوگ پیوٚن۔ ژاُلتھ نہٕ ہیکُن۔ ۳۔ (کانٛہہ شخص) ظالم پیوٚن۔ تیُتھ آسُن یَس ستۍ بنارٕ یُن مُشکِل آسہِ۔ وؤلِس یا کرِس ستۍ کأم گژھنۍ۔

کُڈُر گژھُن :- ا۔ سخ گژھُن، مُشکِل گژھُن۔ وبتر اُوتھ نہٕ ہیکُن۔ ۲۔ برطبع گژھن۔ بارِ پیوٚن۔

گُر۱ :- [م۔ مؤل: گُر]۔ نیٚج ژوچ دَچھ۔

گُر۲ :- [م۔ مؤل: گُر]۔ وُشکہٕ، وُشکہٕ پھٔلۍ۔

گُر۳ :- [م۔ مؤل: گُر < س: کوٹہِ]۔ سبٹھاہ دیٛار، وار یاہ روپیہ۔ مِ: دیٛارٕ گُر۔

گُرٕ :- [م۔ مؤل: گُر < س: گُٹہِ]۔ ا۔ سونٲلۍ یونہٕ کؤٹِس کرِ بیترِ ژور ژِ ستۍ کھنان چھِ تہِ یتھ منٛز پَچہِ بَرنہِ ہنٛز پچہِ بنٛد چھےٚ روزان۔ ۲۔ گینٛز، پھُٹ۔ سو پھُٹ یوسہٕ نہٕ نیرِ۔ مِ: کپرس ئُج گُرٕ۔ ۳۔ سَنبر، خندق۔

گُرٕ دِنۍ :- ا۔ گُنہ کرِ بیترِ ژور ژِ یا رَنٛدٕ ستۍ نالۍ کھننۍ۔ ۲۔ أندۍ أندۍ کھنُن یتھ زَن گُلس بیترِ مؤل نٔہ نیرُن۔ ۳۔ ترٛٹھ پھُٹ کرٕنۍ یوسہٕ سہَل سہَل نیرِ نہٕ۔ ۴۔ أندۍ أندۍ سنبر یا خندق دِین۔

گُرٕ رَنٛدٕ :- سُہ خاص قسمُک رَنٛدٕ یمہِ ستۍ پچن نالہٕ ہِشہِ چھےٚ بناونہٕ یِوان۔

گُرٕ لگنۍ :- (وَٹنہٕ یِنہٕ ستۍ) کپرس بیترِ ترٛٹھ پھُٹ لگنۍ یوسہٕ نیرنہٕ۔

گُرٕوٗٹ :- بچہٕ کھنٛتھ کڈُن ناٹُر ۔ سُہ ڈَکھ یُس ٹُنہٕ بچہٕ یا کوٗٹُس بیترٕ تلہٕ دِنہٕ یِیہِ ۔

گُرٕ۲ :- [م ۔ مؤل: گُر ] ۔ اَکھ گاڈٕ ذاتھ یوسہٕ نمبلن منٛز پھبان چھےٚ ۔

گُرٕ۳ :- [ن ۔ مؤل: گُر < پرٛاکرت : کوڑاو < س: کپر دَکہٕ ] ۔ قمچہٕ ۔ خاص قسمُک دالو قمچہٕ ۔ کوڑر ۔

گُرٕ دِنۍ :- ماردیٛن چوب دِنۍ ۔ کوڑٕ ردِنۍ ۔ سزادیٛن ۔

گُرٕ والُنۍ :- وَزٕ وَزٕ چوب دِنۍ ۔ قمچہٕ ستۍ لہا کھارنہٕ ۔

گُرٕتی :- قمیض ۔ گُرتہٕ ۔

گُرٕسی ، گُرسی :- [م ۔ مؤل: گُرٕسی < ع: کُرسی ] ۔ ا ۔ زَنگہٕ لاگِتھ تہٕ ڈٲکھ کُرِتھ اوک نفری پٔوکر ہش ۔ ۲ ۔ کُن ۔ بُنٛیاد ۔ مکانُک سُہ حصہٕ یُس گوڈنکہٕ فرشہٕ پٮ۪ٹھ آسان چھُ ۔ مکانُک ژوک ۔

گُرٕسی پرٛاوُنۍ :- بُڈ لبُن ، ترقی سپدِنۍ ، بوٚڈ عوہدٕ بَنُن ۔

گُرٕسی دِنۍ :- ا ۔ بُڈ دیٛن ۔ بُڈ نوکری دِنۍ ، ترقی دِنۍ ۔ ۲ ۔ مکانس بیترٕ کُن دیٛن یا لاگُن ۔

گُرٕسی رٔٹنۍ :- عوہدٕ سنبالُن ۔ اَفسری اَتھس اَندر اَنٕنۍ ۔

گُرٕسی کھارٕنۍ :- مکانُک کُن گوڈنکس فرشس تام وانٕناوُن ۔

گُرتٔنۍ :- [م ۔ مؤل: کُرتٔنۍ ] ۔ وُچھو "گُرتہٕ" ۔

گُرتہٕ :- [ن ۔ مؤل: گُرت < ف: گُرتہ ] ۔ ا ۔ اَکہِ قسمُک ناٹُر پلو ۔ ۲ ۔ کپر ٹکرٕ ۔ سُہ کپر ٹکرٕ یتھ اَکھ پھمبرن ایٚرٕ ۔ مِ: پشمینہٕ گُرتہٕ ۔

گُرکاٗنۍ :- [م ۔ مؤل: گُرکاٗنۍ ] ۔ اَکھ جنگلی وُسنۍ گاسہٕ ذاتھ ۔

گُرکوٚٹ :- [ن ۔ مؤل: گُرکٕٹ < مُ: ہ ، گُرگٕٹ ] ۔
ا ۔ سُہ مَل یُس شیٖشہِ بیترٕ کاٗرِتھ پتہٕ گُن روز ۔
۲ ۔ ژھوٚٹھ ، کاٹھ ، ڈُوٗن تہٕ کوٗڑ بیترٕ ۔

گُرکوٚٹ گرٕٹھن :- لختہٕ گرٕٹھن ، دُرُن ۔ سخت گرٕٹھن ۔

گُرکوٚچ :- [ن ۔ مؤل: گُرکچ < س: کرٕکچہٕ ] ۔ ا ۔ لیٚتر (اُری گٔشی ہٕنٛز ) ۔ ۲ ۔ سُہ تولہٕ چالہٕ چیز یُس ہیٚوٗ زتہٕ پٮ۪ٹھ وَسان کھسان آسہِ ۔ ۳ ۔ اُکس جاناوارسٕنٛد ناو ۔

گُرٕز :- [ن ۔ مؤل: گُرٕز < ف: کوزہ ] ۔ نابدٕ نوٹ ۔

گُرٕژر :- [م ۔ مؤل: گُرٕژر < گُرٕ ۔ لفظُک ژھوٹر < س: کُچہٕ + اُر ] ۔ پھس ، خاص کُرِتھ شُری ہٕنٛز ۔

گُرٕژُر :- [ن ۔ مؤل: گُرٕژر < س: کچہٕ + اُر ] ۔ ا ۔ دود چٔوان ہونہٕ بچہٕ ۔ ۲ ۔ دودٕ بُرِتھ بَب ۔

گُس :- تُس کیا چھِ وَنان یُس ...... کانٛہہ سُہ یُس مُتلق پٔژ ژھٔنۍ زِ ۔

گُس تامتھ :- سُہ یُس وَنہِ چھنہٕ ، ویٚو دچھنہٕ ، ژتٕس چھنہٕ پہوان ۔

گُش :- [ن ۔ مؤل: گُش < س: گُشہٕ ] ۔ دٕرب ۔ اَکھ وُسنۍ گاسہٕ یتھ رتھرس پھمب ہیٚوٗ ہ کھسان چھُ تہٕ یُس بٔتہٕ مذہبی رسمن لاگان چھِ ۔

گُشادٕ :- [ن ۔ مؤل: گُشاد < ف: گُشادہ ] ۔ کھُلہٕ ڈُلہٕ ۔ بوٚڈ ۔ تنگ نہٕ ۔

گُشادگی :- کھجر۔ کھوٗل آسنچ حالتھ۔

کُشتی :- [م۔ مؤل: کُشتی <ف: کُشتی]۔ دَبہٕ دب۔ زورأزمأیی۔

کُشتہٕ :- [ن۔ مؤل: کُشت <ف: کُشتہ]۔ ۱۔ سُہ یُس مارنہٕ آمُت آسہِ یُس قتل کوٗرمُت آسکھ۔ ۲۔ داتس أکہِ خاص طرٟیقہٕ بناونہٕ آمُت دوا۔ بَسمہٕ

کُشتہٕ کرُن :- مارُن۔ سخ عذاب کرُن۔

کُفر :- [مؤل: کُفر <ع: کُفر]۔ ۱۔ ناشُکری۔ ۲۔ بے دیٖنی تہٕ یہِ مذہبہٕ موٗجوٗب جأیز آسہِ نہٕ۔

کُفتہٕ :- [ن۔ مؤل: کُفت <ف: کوفتہ]۔ ڈ رگتھ مَرٕ ہ۔ مَرٕ ہِ موٗنڈ۔

کُفتہٕ کرِنی :- چوب دِی دِی بریانہٕ کرِنی۔ سخ ماردیُن۔

کُک :- [ن۔ مؤل: کُک < آوازِ پیٛٹھ]۔ أکِس جاناوارسُند ناو۔

کُکِل :- [م۔ مؤل: کُکِل <س: کوکلہ]۔ اکھ وُڈوُن جاناوار یُس ربتہٕ کالہِ کٔشیرِ منز چھُ روزان تہٕ وَندس چھُ گرِم علاقس کُن گژھان، أمِس چھُ گوٚٹ شیٖر چاپہٕ رَنگ تہٕ ئِنٛس أندی أندی چھِس کرٛ یہنہٕ رَنگہٕ گول رِکھ۔

کُکُلہِ پرِی :- ژھوٚٹی ژھوٚٹی قدم۔ لوٚتی لوٚتی قدم۔ سوندر قدم۔

کُکُلہِ پوٚٹ :- أکھ راٗٹھ وار وٗسنی گاسہٕ۔ یُس وُڈرَن ہیٚتر کھسان چھُ تہٕ شربُتٕ سٟتی چھُ ژٕ اونہٕ یوان، أکھ وُسنی بوٗٹی۔

کُکُلہِ ہوٚٹ :- (ورگہٕ) میٚٹھ آواز۔ سَنہٕ وِنی آواز، سو آواز یوسہٕ بوزِنی خوش کرِ۔

کُکہٕ نوٚس :- [ن۔ مؤل: کُکہٕ نُس <س: کوکہ+ ناسا]۔ أکھ گیوٗڈن جاناوار۔

کُکُو :- [م۔ مؤل: کُکی]۔ تھٔز نوکدار ژوٚپی۔

کُل ۱ :- [مؤل: کل <ع: کُلن]۔ سأری، کینٛہہ پتھ تُرٕ اونہٕ ورأے، سوٗرُے۔

کُلہٕ پیٛٹھ ظُلم دفع کرُن :- (کُنہِ خطرس یا مصیبتس) مؤلے ٹھ دیُن، تیٖتھ دباوُن یتھ دُیِد وۄتلتھ ہیکہِ نہٕ۔

کُل عالم :- سأری لُوٚکھ۔ دُرس دُنیا۔

کُل ہم :- أندٕ ہیٚتھ سوٗرُے یا سأری۔

کُل ۲ :- [ن۔ مؤل: کُل <س: کولہ]۔ نٟچہِ ذاتھ ژھِنٛز زُوٕ ذاتھ یوسہٕ زمیٖنس پٮ۪ٹھٕ آسہِ (رونہٕ۔ دَونہٕ، یا وٗسنی آسنہٕ کِنی) زَنٛڈ تھٔر، راٹھ بیأر، رأیل بیترِ۔

کُلہٕ پیٛٹھُک بوج :- ۱۔ موٗک حِصہٕ دار۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی)۔ یِکہٕ وَٹہٕ گرس منز شُرپکھ۔ مُشترکہٕ جادادس حِصہٕ دار۔

کُلہِ پیٛٹھُک ژوٗنٹھ :- ۱۔ تہٕ یہِ نوٚن تہٕ ٹاکار آسہِ۔ ۲۔ یتھی دیٛار ریٛمن پٕرتھ کانٛہہ داوا ہیکہِ کرِتھ۔ ۳۔ ژرِس کالس نہٕ پوشہِ ڈن۔

کُلسٕ کھأرِتھ گوڈ رَب کرِنی :- تہٕ ڈ ہِتھ گو: ہیوٚر واتنأوِتھ نہٕ پتہٕ بون وَسنس وارتھوٗن۔ گُنہ بلایہٕ

بُتھِ دِتھ پانہٕ لۄب ہیوٚن۔

**گُلبن کھسُن:** ۔۱۔ ووٚتہٕ تُلنہٕ لبن کھسُن ۔۲۔ (دادِ بیترِ سٟتی) ژژنگ دِنۍ، کُنہٕ رَنگہٕ نہٕ آرام یُن ۔۳۔ (ورگہٕ پاٚٹھی) سخ غوصہٕ کھسُن۔ سخ ناراض گژھن۔

**گُلبو پیٚٹھی پوٚنۍ کھارُن:** ۔لوکچہٕ کتھِ بڑ کتھ بناوٕنۍ، دُشمنتہٕ کنۍ موموٗلی کتھ پیٚٹھ نیاے تُلُن۔

**گُلی تِہر:** ۔گُلیٚک ٹوٗپ۔ گُلہٕ چہٕ پیٚٹھی میہ لنٛجہٕ یالُنٛڈ۔

**گُلی تیٚہرِ پیٚٹھی ووٚتہٕ ژاونہٕ:** ۔خوش گژھتھ اتھ نہٕ یُن، ژِنگر تُلنہٕ۔

**گُلی دَدٕر۱:** ۔گُلس گوڈَس تَل گاٗمُژ گوٗگر۔ سو خاٗلی جاے یوسہٕ دوٚدرِ بیترِ کنۍ گُلہٕ کس گوڈَس گاٗمُژ آسہٕ۔

**گُلی دَدٕر۲:** ۔زٕ ہتھ توٗنتھ کُرتھ جاناوار یُس گُلی گوڈَن توٗنتہٕ سٟتی کوٗرِتھ ہُد چھُ دِوان۔

**گُلی کاو:** ۔(ورگہٕ) سُہ شخص یُس بڑبن تہٕ ٹھدبن گُلبن لنگہٕ لنگہٕ پھیران آسہٕ۔ گُلبن کھسنس اہل انسان۔

**گُلی کُٹ:** ۔گُلی تہٕ دوہ پھ بیترِ، نیچہٕ رٟنگی سورِ ے کینہہ۔

**گُلی کوٚٹ:** ۔اُکس جاناوارُ سُند ناو۔ اکہٕ قسمُچ گُلی دَدٕر۔

**گُلی کوو:** ۔باڈوٕ بوٚڈ اَکھ جاناوار یمۍ سِندِ بارٕ سٟتی زَنٛڈ بیترِ نمان چھِ۔

**گُلی گنبر:** ۔سو جاے یتھن ژٕر گُلی آسہٕ کنۍ تاپھ تہٕ پھر آسہٕ نہٕ پیوان۔

**گُلی گہیُل:** ۔سو جاے یتھن گُلی گنبر آسہٕ کنۍ اَنہٕ گٹہٕ ہش آسہٕ۔

**گُلی گوڈ:** ۔گُلیٚک موٗلہٕ پیٚٹھ کُنیٚک گوڈنیُک حِصہٕ۔ ژٕمینس پیٚٹھ گُلیٚک پاے۔

**گُلی گوڈٕ گردَن:** ۔تیژ موٚٹ گردن یتھ تھپھ ییہٕ نہٕ۔ موٚٹ دروٗٹ گردن۔

**گُلی مانٛچھ:** ۔راز ماپھٕلی شکلہٕ مہوٚ یُس گُلِم زَنٛڈس نیران چھُ۔

**گُلی ماو:** ۔۱۔ وَدنس لایق گُلی لَنٛڈ ۔۲۔ لوٗکُٹ گُل۔ سُہ گُل یُس زِیادٕ بڈ یومُت آسہٕ نہٕ۔

**گُلی وار:** ۔سو جاے یتھن واریاہ گُلی آسَن۔ گُلی گہیُل۔

**گُلی واءلنٛز:** ۔(ورگہٕ) دماٗلۍ کرنۍ۔ لبن کھسُن، کُنہٕ رَنگہٕ نہٕ سوکھ سان بہُن، اُلمن کھسُن۔

**گُل دِیُن:** ۔۱۔ گُل رُوٗن ۔۲۔ (ورگہٕ پاٚٹھی) کانٛسہٕ وَتہٕ لاگُن یتھ شیٖچار وٗمبرِ واتہٕ۔

**گُلاک:** ۔[ن۔ موٗل: کُلاک < اَنگ: کُلاک: Clock]۔ اکہٕ قسمُچ بڈ گر، دیوار گر۔

**کلال:** ۔[ن۔ موٗل: کلال < س: کُلالہ]۔ کرٛال۔ میژِ بانہٕ تھرُن وول کاٗرِ گر۔ م:

مےٚ وانہٕ عشقنہٕ بانہٕ تھُری تھٕم کلالہٕ تٟے (صمد میر)

**کُلاہ:** ۔[موٗل: کُلاہ < ف: کلاہ]۔ اکہٕ قسمُچ تھزٕ ٹوٗپۍ۔

**کُلم:** ۔[ن۔ موٗل: کُلم]۔ اَکھ وُسنۍ زَنٛڈ یتھ گوڈٕ سوٗنتہٕ ووز جارٕ سان سفید رَنگہٕ پوٚش چھِ پھولان۔

**کُلِم پوٚش:** ۔ووز جارٕ سان سفید رَنگہٕ کُلِم زنٛڈُک پوٚش۔

**کُلِم کانہٕ:** ۔کُلِم زَنٛڈ چہٕ لادِ تہٕ زاٗوۍ جہٕ موٗرِ یمہٕ

پھوٚتی بیترِ وونس لگان چھےٚ۔

گلوخ :- [ن۔مؤل: گلوخ < ف: کلوخ ]۔ا۔ میٹۍ یوسہٕ آبریز کرنہٕ پتہٕ (مُسلمان) ہوان چھہٕ۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) پیشاب۔

گلوخ کرُن :- سبر نیرُن۔

گلوخ ہیوٚن :- میٹۍ ہێنۍ۔

گلورو فارِم :- [ن۔مؤل: کلوروفارم < اَنگ کلورو فارم: Chloroform ]۔بے ہوش کرنک دوا۔ مُشک (دِنٛک دوا)۔

گلوچہٕ، گُلچہٕ :- [ن۔مؤل: گُلچ < ف: کُلچہ ]۔ اَکہِ قسمُک خستہٕ ژوچہٕ وٚور۔

گلی چہٕ، گُلچہٕ وٚور :- وُچھو "گلی چہٕ"۔

گلی فقیر :- [ن۔مؤل: گلی فقیر]۔ا۔ پھیرِوٕنۍ (لُکھ) یِم گرا اَکس جایہِ تہٕ گرا بێیِس جایہِ ڈیرٕ دِن۔
۲۔ بچھِ وٕنۍ، خانہٕ بدوش۔۳۔ مکار۔

گلی فقیرن ہنٛز بأش گژھنۍ :- کُنہِ جایہِ تھانہٕ مکانہٕ روزُن۔ کُنہِ جایہِ نہٕ قرار گرتھ بہُن۔

گلی مہٕ :- [ن۔مؤل: گلی م]۔رَبابہٕ بیتر چہٕ تمہٕ کِہِ یمن ستۍ تارٕ گنٛڈِتھ چھےٚ آسان۔

گلیات :- [ < ع: کُلیّات ]۔ا۔ رَنگہٕ رَنگہٕ کلام سوٚمبرن۔۲۔ پٔٹھوٚ اُری کاغذ۔

کُمک :-[م۔مؤل: کمک < ف: کُمک]۔ا۔ مدد، اَتھہٕ روٚٹ۔۲۔ مدتی فوج۔ مدد کرنہٕ باپتھ سوزنہٕ آمٕژ مزید فوج۔

کُمک سوزٕنۍ :-ا۔مدد سوزُن۔۲۔ جنٛگس منٛز لڑن وألس فوجس بێیہٕ فوج اَتھہٕ روٚٹ کرنہٕ باپتھ سوزُن۔

کُمک واتنۍ :-ا۔ مدد واتُن۔۲۔ جنٛگس بیترِ منٛز لڑنہٕ باپتھ ہُریمانہٕ فوج واتُن۔

کُمار ۱ :-[ن۔مؤل: کُمار < س: کُمار]۔لڑکہٕ۔

کُمار ۲ :- [ن۔مؤل: کُمار < س: کُمار]۔ پاروٗتی ہُنٛد سنتان۔

کُمأرۍ :-[م۔مؤل: کمأرۍ < س: کماری]۔ کوٗر۔لڑکی۔

کُمُل :-[ن۔مؤل: کمُل < س: کوملہٕ]۔ ا۔نرم۔
۲۔ یتھ کُمہٕ جار گومُت آسہٕ۔

کُمجار :-[ن۔مؤل: کُمجار < س: کوملتا]۔ا۔ کُملِنٛچ حالتھ۔ وِبگلِنٛچ حالتھ۔۲۔ اُوێل آسنٕچ حالتھ لاوبر۔
۲۔ سنجیدگی کم گژھنٕچ حالتھ۔۳۔ وُٹھ کُملاونٕچ حالتھ۔

کُمجار گژھن :-ا۔ وبگلُن ہیوٚن۔ کُملُن ہیوٚن۔
۲۔ وُٹھ کُملنۍ۔

کُملاوُن :-ا۔ وبگلاوُن، نرماوُن۔۲۔ آماد کرُن۔ رأضی کرُن، لَیہِ اَنُن۔

کُملُن :-[< س: کوملہ]۔ا۔ وبگلُن، نرم گژھن۔
۲۔ آنٛنۍ واتنۍ یُن، رأضی گژھن۔ آماد گژھن۔
۳۔ آریُن، رَحم یُن۔

گن ۱ :- [ن۔مؤل: گن < س: ایکا کن]۔ اَکھے، دوٚیمہٕ روٚس۔کیوٚل۔م:

گُنۍ چھُکھ چھےٚ توے کیوٗل ناو (کرشن رازدان)

گُنہِ اُچھ گاش:- وُچھو "کانہہِ اُچھ گاش"۔

کُنِس باغ نوٗن:- اَکی ہے پیٹھ وو پَد نۄنۍ۔ کمہِ ہے برکتھ ہٮ۪نۍ۔

گُنہِ گبہِ چھُ شال پتے:- یُس کانٛہہ ستی وول یا نکھ ڈکھ آسہِ تس چھِ ساری زاگنس آسان۔

گُنہِ گبہِ مُٹھۍ لیچ گرٛھنۍ:- ا۔ یُزنہٕ پیٹھۍ کینٛہہ بَنُن۔ ۲۔ شریکہٕ روٗس آسنہٕ کُنۍ سورُے اَکی ہے آسُن۔

گُنۍ آسُن:- ا۔ پانہٕ نیار آسُن، اَتھہِ واس آسُن، سوٗتھ آسُن۔ ۲۔ خوداے گُن آسُن لاشریک آسُن۔ ۳۔ شرمُر روٗس آسُن۔

گُنۍ پان:- پنہٕ نُے یوٗت پان۔ شریکہٕ روٗس۔

گُنۍ پان چھُ رَحتہٕ جان:- تہٕ ڈۄپتھ گو: زِمہ داری روٗس آسُن چھُ بوڈ سوکھ۔

گُنۍ زانُن:- پانہٕ وأنۍ نہٕ کانٛہہ فرق بانٛسۍ، پانہٕ وأنۍ سخ اخلاص آسُن۔

گُنۍ فاقہٕ تہٕ دڑاگ، گُنۍ اوٚبرتہٕ ماگ:- تہٕ ڈۄپتھ گو رَژھ تہٕ نہٕ ژبڈ تہٕ برداش آسُن۔

گُنۍ کرُن:- ا۔ اَتھہِ واس کرُن، سٔمت کرُن۔ ۲۔ یکہٕ وَٹہٕ کرُن، رلاوُن، مِلہٕ ناوُن۔

گُنۍ گرٛوھن:- ا۔ رلُن، رَلاونہٕ یِن ۲۔ لختہٕ گرٛوھن، لِگتھ گرٛوھن، شیہ لگُن۔

گُنۍ ہیۄہ:- ہیۄے۔ یتھ یایُس ہشر آسہِ۔

گُنۍ زِنۍ ہٹ چھنہٕ دِنس تہٕ دزان:- تہٕ ڈۄپتھ گو گُن زوٗن چھُنہٕ کانٛہہ کأم کرِتھ ہیکان۔ گُن زوٗن چھُ نہٕ تہٕ کھنہٕ یوان۔ اَکھ اَکی سِنٛدِ اَتھہِ رٹہٕ ستی چھےٚ کأم بنان۔

گُنۍ کتھ:- اَتھہِ واس، اتفاق، سٔمت۔

گُن چھُ شوٗبان دَے:- تہٕ ڈۄپتھ گو: دَیی یوت چھُ گُن۔

گُن ۲:- کانٛہہ جاے: کانٛہہ طرف۔ م: کور گُن۔ کتھ گُن۔

گُن گُن:- گُنہٕ طرفس، گُنہٕ اَندس، گُنہٕ وَتہٕ۔

گُنالہٕ:- [ن۔ مۄل: گُنال < س: گُنڈ]۔ ا۔ کٹریۄ کھبنہٕ بانہٕ یُس ژکہٕ تلہٕ تنگ تہٕ پیٹھہٕ کھۄل چھُ آسان۔ ۳۔ سُہ بوڈ ڈکٹر بانہٕ یتھ پیٹھ کراَل اَکی بانہٕ شٹھنہٕ باپتھ تھوان چھُ۔

گُنہِ:- [< س: کہٕ+اُہن]۔ ا۔ اَکِس نے تہٕ بیٚیس جایہِ۔ م: گُنہِ جایہِ۔ ۲۔ اَکہٕ نتہٕ بیٚیہٕ وقتہٕ۔ م: گُنہِ وِزِ۔ ۳۔ مُنزی، یِژھ پأٹھی نہٕ۔ م: گُنہِ گُنہِ چھُ یوان سُہ سون۔

گُنہِ پأٹھۍ:- کانٛہہ وَتھا ژھانٛڈِتھ۔ یتھ تتھہٕ کانٛہہ طریقا ژھانٛڈِتھ۔

گُنہِ رَنگہٕ:- وُچھو "گُنہِ پأٹھۍ"۔

گُنہِ ساتہٕ:- ضۄرۄرتہٕ کہٕ وقتہٕ وِزِ۔

گُنہِ کارُک نہٕ:- نالگہٕ ہار۔ یُس یا یا اَکار بکار سیٚہ نہٕ۔

گُنہِ گُنہِ:- ا۔ گُنہِ گُنہِ وقتہٕ ۲۔ گُنہِ گُنہِ جایہِ۔ ۳۔ مُنزی

مُنزٕ، گاہ بگاہ۔ یُژ پأٹھی نہٕ۔ ۴۔ گُنہٕ پأٹھی، گُنہٕ
وتہٕ۔ م: سُنٛز یا سے ہا گوسانے
گُنہٕ گُنے یکنا سون

گُنہٕ نہٕ:۔ گُنہٕ جایہ نہٕ۔ گُنہٕ مقامس پیٹھ نہٕ۔

گُنی:۔[م۔مۆل: گُنی > س: ایکا ِکنی]۔ ہارٕ بأتس اَندر اکأے ہار پیٹھ گُن یا بوٗن گُن روزٕنی۔

گُنی کرٕنی:۔ سوٗرے ہارٕ باز زیٖنٛن۔

گُنی گرٛشھنی:۔ بأتس منٛز اکأے ہار ہیوٗر گُن یا بوٗن گُن روزنہٕ کِنٛز ہارٕ بأتھ زیٖنٛن۔

گُنی ہٹ لگہٕ نہٕ گژھہٕ تہٕ:۔ تہٕ ڈٕپتھ گو گُن زوٗن چھنہٕ کانٛہہ کأم اَند واتناوِتھ ہیکان۔ کارس اَند بوٗزدِنہٕ باپتھ گژھِ پیٚ سُند اتھ تہٕ آسُن۔

گُنہٕ:۔[مۆل: گُن > س: کنہ]۔ اَکھ ڈٕسنٛز سبزی یوسہٕ دوا رَنٛگہٕ ورتاوان چھِ۔

گُنہٕ پژاس:۔ نوشہٕ واژِ مرٛ خبرِ منٛزِ تم پأنسہٕ یم تیٚنٛد بن مالنٛین واپس چھِ سوزنہٕ یوان۔

گُنہٕ پأتھر:۔ سو بخشأیش یوسہٕ شوٗ گوانہٕ کنہٕ نچوٗی کھاندرس پیٹھ طأیفہٕ دَرن دِوان چھِ۔

گُنہٕ ترٛہ:۔[> س: ایکوَ نہ برمشت [ڈٕہ تہٕ نَو۔ اکہٕ کم ترٛہ۔

گُنہٕ نمتھ، گُن نمتھ:۔[> س: ایکونہ نوتہٕ]۔ اَٹھ ڈٕہ تہٕ نَو۔ اکہٕ کم نمتھ۔

گُنہٕ وَنژاہ:۔[> س: ایکونہ پنچاشت]۔ ژور ڈٕہ تہٕ نو، اَکہٕ کم پنژاہ۔

گُنہٕ وُہ:۔[> س: ایکو ومشتہٕ]۔ اَکھ دوٗہ تہٕ نَو۔ اکہٕ کم وُہ۔

گُنہٕ ہأٹھ:۔[> س: ایکونہ ششٹہٕ]۔ پانٛژھ ڈٕہ تہٕ نو، اکہٕ کم شیٹھ۔

گُنٛز:۔[ن۔مۆل: > گُنز > س: ایکا ِکن]۔ وَچھِ گوٹھ رِتھ پھٔلی ہُرتھ آسَن ییٚنٛتی۔

گُنبر:۔[> ڈٕچھو گُن]۔ ا۔ دوٚیم نہٕ آسُن۔ بیا کھ زوٗن اَتھ شیٚہلاونہٕ باپتھ نہٕ آسُن۔ گُن آسٕنٛچ حالتھ۔
۲۔ ہٕشَر۔

گُنبر بوزُن:۔ پانہٕ نیار زانُن، وۄپرأزی نہٕ بوزٕنی، ہیٚے بوزُن۔ وَحدأنیت گُنز رٕنی۔

گُنبر ویوٗت:۔ سُہ یَس کانٛہہ اَتھ روٗٹ کرنس یا پکٕرنس آسہٕ نہٕ۔

کُنتی:۔[م۔مۆل: کُنتی > س: کُنتی]۔ راژ پانڈوٚ ہنٛز زنانہٕ۔ پانڈون ہنٛز ماج۔

گُنٛدَن:۔[ن۔مۆل: گُندن > ہ۔ کندَن > س: کندلہ] شوٗ سون، پاسہٕ سون۔

گُنٛدَن چھُر ہیوٗہ:۔ ا۔ کأرِتھ پاسہٕ سونہٕ پھیوٗر ہیوٗہ۔ شوٗ دتہٕ صاف، آلأیشہٕ روٚس تہٕ چمکہٕ وُن۔
۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سُہ یاتہٕ یتھ نہٕ کیٛنہہ مولہٕ وُن آسہٕ۔ یتھ نہٕ کیٛنہہ نوقص آسہٕ۔

گُنٛڈ:۔[ن۔مۆل: گُنڈ > ف: کندہ]۔ ا۔ بوٚڈ گیل، گول موٚنٛڈ۔ ۲۔ سُہ موٚنٛڈ یتھ سٟتی موٗت یا مُجرِم گنڈٕ نہٕ ییہ۔ ۳۔ شلوارِچ کپر چھل یوسہٕ برٛونٛٹھی

کٕنۍ گیر پٮ۪ٹھ مُربن تام واتنہٕ یوان چھےٚ۔

**گُنٛدتژ اوُن :**۔ کنٛدس گنٛڈن، اوٕر یور پھیرنس بٔندِش کرٕنۍ۔

**گُنٛدۍ :**۔[م۔مؤل: کنٛدی]۔ اِسٹرۍ۔لوہہٕ۔سُہ آلہٕ یمہٕ سٟتۍ پلوَن پُھٹھ بیترِ کڈان چھِ۔

**کنٛڈٕ ا :**۔[ن۔مؤل: کنٛڈ <؟ س: کنٛڈ]۔ کنز، نیاٚمۍ، ووٚنٛجھ۔مِ۔ڈنٛڈٕ کنٛڈٕ۔

**گُنٛڈٕ ۲ :**۔[ن۔مؤل: کنٛڈ <س: کنٛڈلہ]۔ پوو، پوٚہ۔ وول۔کوو۔

**گُنٛڈٕ گرُٛھن :**۔ کاورُن۔ہوٚل گرُٛھن۔

**گُنٛز ا :**۔[م۔مؤل: گُنٛز <س: کُنٛچکا]۔ ا۔ سُہ سامانہٕ یمہٕ سٟتۍ قُلف مۄژٕنہٕ ییہِ۔ کینٛہہ مۄژنک آلہٕ۔ ۲۔ وَتھ حَل کرنک کینٛہہ ژٕھل۔۳۔ سُہ چیٖز یمہٕ سٟتۍ کانٛہہ چیٖز چلاونہٕ ییہِ۔

**گُنٛز بردار :**۔ یَس اَتھِ گُنٛز آسَن، یَس پٮ۪ٹھ پژھ آسہِ۔یَس سورُے کینٛہہ حوالہٕ آسہِ۔

**گُنٛز برداٚری کرٕنۍ :**۔ گرُک سامانہٕ شیرتھ سنٛبھاٚلتھ تھونٛک تہٕ پھرکاونک یختیار آسُن۔

**گُنٛز کوٚر :**۔ گُنٛز تژوٹ تھونٛک آر، سُہ تارِ ہُنٛد آرٕ ہیوٚہ۔یتھ منٛز گُنٛز بنٛد چھےٚ آسان۔

**گُنٛز قُلف :**۔ا۔ مَس پارنک اکھ خاص طرٟیقہٕ۔ ۲۔ قبضہٕ۔۳۔ ورتاوُک یختیار، دَسگاہ۔

**گُنٛز کرٕنۍ :**۔ا۔ کانٛہہ چیٖز چالو کرُن۔ گُنہٕ مشینہٕ بیترِ گُنٛز وَروَردیُن۔۳۔ (ورگہٕ پاٚٹھۍ) پھوکھ ہیٚرُن۔ ٹلُن۔

**گُنٛز ہیٚچھنۍ :**۔(گُنہٕ چیٖزٕچ) ویدٕ ہیٚچھنۍ۔ ژٕھل ہیٚچھُن۔حل کرنک طرٟیقہٕ زانُن۔

**گُنٛز ۲ :**۔[ن۔مؤل گُنٛز <س: کلہ ہٟسہ]۔ أ کِس أبی پچھنہٕ سُنٛد ناو۔

**گُنٛگہٕ :**۔اکھ زہریلہٕ وُسنۍ گاسہٕ ذاتھ۔

**کُنٛہہ :**۔[<س: کو]۔ا۔ کانٛہہ اکھ، کانٛہہ زُون یاژٕنۍ۔ ۲۔ سُہ نیرُن وول۔مِ: کُنٛہہ کوٚت گو۔

**کُہنہٕ اکھا :**۔وِچھِو ''کانٛہہ اکھا''۔

**کۆپ ا :**۔[ن۔مؤل: کۆپ <س: کوپہ]۔ ژٕکھ۔ غوصہٕ، ناراضگی۔

**کۆپٕ گرُٛھن :**۔ ژٕکھ گرُٛھن۔ ناراض سپدُن۔ وٕہر گرُٛھن۔

**کۆپ کرُن :**۔ کرٕو دکرُن، شرارتھ چھاٹُن۔

**کۆپ ۲ :**۔ جنٛگلُک اکھ خاص حصہٕ (یژپاٚٹھۍ) جنٛگلُک پٮ۪ٹھیُم حصہٕ۔

**کۆت :**۔ا۔ کمہِ وَزنہٕ، کوتاہ۔۲۔ واریاہ۔

**کرِتھ پھِر :**۔ واریاہِ لٹہٕ۔ اکثر۔یژپاٚٹھۍ۔

**کۆٹ ا :**۔[ن۔مؤل: کۆٹ]۔ا۔ زیوٚٹھ ڈُلوم لٹکرِ ٹکرٕ۔۲۔ لوٚکٹ ٹکرٕ۔مِ: بنٛدرۍ کۆٹ۔

**کۆڈٕ تژ :**۔ کۆٹس کڈنہٕ آمژ تریوسہٕ تژ مَس تالنہٕ یوان چھےٚ۔

**کۆڈٕ کلہٕ :**۔ کۆٹس ہہنہٕ آمژ تال۔

**کوٚڈٕ لٹُر** :- ۱۔ پیٹھُم تال یوسہٕ کُنہٕ کوٚرُس بیتر تورِ ستۍ ہینہٕ آمٕژ آسہِ۔ کوٚڈٕ تال۔ ۲۔ لوکُٹ کوٚٹ۔

**کوٚٹ۲** :- [ن۔ مؤل: کوٚٹ > س: کوٚٹہٕ]۔ اَکھ جایہِ ناو (یتھ ستۍ لگان ییٚتہِ پتھ کالہِ قلہٕ اوسمُت آسہِ ہے) مِ: اندر کوٚٹ۔

**کوٚٹۍ ترتھ** :- [ن۔ مؤل: کوٚٹۍ ترتھ > س: کوٹہِ تیرتھ] اَکھ ترتھک یا ہیٚنٛدۍ زیارتک ناو یہِ ترتھ چھُ ور مُلس نکھہٕ۔

**کوٚٹۍ شوٗر** :- [ن۔ مؤل: کوٚٹۍ شوٗر > س: کوٹی شوٗر]۔ شِو ناتھُن اکھ ناو۔

**کوٚٹھ (کوٚٹ)** :- [ن۔ مؤل: کوٚٹ > س: کوٹہٕ] لوکُٹ قِلہٕ۔

**کوٚٹھر** :- [م۔ مؤل: کوٚٹھر > وچھو "کُٹھ"]۔ لوکُٹ قلہٕ۔

**کوٚٹھۍ** :- ۱۔ مندور۔ ۲۔ بوٚڈ مکانہٕ۔ مِ: کوچھِ باغ۔ ۳۔ بوٚندؤ تُک سُہ حِصہٕ یتھ اَندر شورٕ بران چھہٕ۔

**کوچھِ وول** :- ۱۔ سُہ یُس بوٚڈ مکانہٕ آسہِ۔ بنٛگلہٕ وول۔ ۲۔ بوٚڈ بپاأرۍ۔

**کوٚچ** :- [ن۔ مؤل: کوٚچ > ف: کوٚچ]۔ ۱۔ سفر۔ ۲۔ پکُن۔ نیرُن۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) مرُن۔

**کوٚچھ** :- [ن۔ مؤل: کوچھ]۔ ہوٗنس آلو دِنچ آواز۔

**کوٚچھ کوٚچھ کرُن** :- (ہزلہٕ) طمع دِتھ پانس کُن پھرُن۔

**کوٚرا۱** :- [م۔ مؤل: کور > س: کُماری]۔ کأنسہِ ہنٛز کُٹ، مادٕ شُر۔

**کوٚرۍ دود** :- تَس زنانہٕ ہُنٛد دود یُس کوٚر آسہِ زامٕژ۔

**کوٚر گوٚبُر چھُ حیہٕ کٕدل، زأنہٕ کٕدل** :- تہِ دٕ پتھ گو: کورِ یا گوٚبرس واریاہن جاین کتھ یتہِ اماپوٚز کُنہِ جایہِ نہٕ برابٔرۍ ستۍ۔

**کورِ بوج** :- یُس کأنسہِ کوٚرنیترۍ دِیہٕ۔ کھاندرس پتھ کورِ والین ہنٛدِ طرفہٕ یژمن۔

**کورِ دَرِ** :- ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ کوٚر۔

**کورِ دیار** :- تمہٕ ہارِ یمہٕ کانہہ شخص پنٛنہٕ کوٚرنیترۍ دِیس پتھ گوٚبرٕ مأنلس ییٚنہٕ۔

**کورِ کھاندر** :- ۱۔ کوٚرنکھہٕ وانٛج کأم۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) بُڈ ذِمہٕ دأرۍ۔

**کورِ لگن** :- کوٚرنکھہٕ والنٛک رَسم۔ کورِ کھاندرُک ساتھ۔

**کورِ لبھ** :- ۱۔ کورِ ہنٛدِ ناو بدرد۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) گال۔

**کورِ مأج** :- ۱۔ کورِ واجنی، کھاندرس پتھ یژمن باے۔ ۲۔ ژُرِ کورِ زینہٕ ستۍ زیر بار گأمٕژ زنانہٕ۔

**کورِ موٚہنیو** :- ۱۔ کورِ ہنٛز ذاتھ (یُس خاص وٚطیرِ آسُن گژھِ تہٕ یتھۍ سُنٛد بار سبٹھاہ گوٚب چھُ مانہٕ یوان)۔ ۲۔ مَنٛد چھِ بُتھ۔ سُہ یُس زنانہٕ انداز آسہِ۔

**کورِ مول** :- ۱۔ یُس کوٚر یا کورِ زامٕژ آسَن۔ ۲۔ سُہ شخص یُس کورِ ہن ہنٛدِس بارس تل گومُت آسہِ۔

**کورِ وول** :- یُس سبٹھاہ کورِ آسَن۔ یُس ژُریو کوریو سبہٕ اورُت آسہِ۔

کورِہار :-وراثتک سُہ حِصہٕ یُس مالنہِ طرفہٕ کورِ تران چھُ۔

کورِہُند بَتہٕ کھیوٚن گودورِہنٛز رَب کھینٛی :-تہِ دٕپتھ گو: کورِہنٛدِ گرِ کھیوٚن چوٚن چھُ ناجائِز۔

کورِہُند بَتہٕ گودورِہُنٛد گس :-وُچھو "کورِہُند بَتہٕ کھیوٚن گودورِہنٛز رَب کھینٛی"

کۄرٕ۲ :-[ن۔مۄل: کۄر]۔ اَکھ گاسہٕ یُس زاڈبن سَرَن بیترِ منٛز وُسنی کھسان چھُ۔

کۄر۳ :-[م۔مۄل: کور<؟س: کٹہ]۔ گُنہٕ گاسس بناوُمژ آر، لۄنٛتھ یا وٲنکہٕ ہش۔ (یہِ لفظ چھُ یُتھ پٲٹھی "بمہٕ" سٕتی لگان۔ مِ: بمہٕ کۄر)

کۄر۴ :-[ن۔مۄل: کۄر<س: کرٛوٗد]۔ سُہ یُس تنٛگ کرِ۔ یُس وُطِیرٕ کِنی وُلتہٕ آسہِ۔ ظالِم۔ ستمگر۔

کۄرُن ۱ :-[مۄل: کۄر<س: کۄٹہ یتے]۔ مَستس یا ریٖشس بیترِ (نرٕ ماونہٕ باپتھ) پوٗنی متھِتھ پھِش پھِش دِین۔

کۄرُن ۲ :-[ن۔مۄل: کۄر<س: کۄٹیتہِ]۔ ۱۔ کھٕنتھ کڈُن۔ گُنہٕ تیز ہتھی یا رٕسٕتی اَندریم حِصہٕ کڈِتھ نِیُن۔ دٔدٕنس بیترِ شٕژا کہٕ پنٛجہٕ سٕتی۔ پُرِ گۄل کڈُن۔ ۲۔ بُڈ دِنی، اَنٛدٕرکی اَنٛدٕرکی کھنُن۔ ۳۔ ژۄرِ پٲٹھی کھپھ کڈٕنی۔ ژۄرِ پٲٹھی پننہِ باپتھ حِصہٕ کڈِتھ نِیُن۔ ۴۔ اَنٛدٕرکی اَندری دُشمن واَری کران روزُن۔

کۄرَن کیوٚم :-اَکھ کیوٚم یُس کُلین بیترِ کۄرٕ اَندر اَژان چھُ۔

کۄرٕ کۄرٕ :- کھٕنٛز کھٕنٛز، زورٕزار، تچھ تچھ۔

کۄرٕ کۄرٕ اَژُن :-۱۔ چھٕپنہٕ باپتھ کأنٛسہِ تل تل اَژُن۔ ۲۔ تھہٕ تِتھ پان وِپراوُن۔

کۄرٕ کۄرٕ کڈُن :-زورٕزار کتھ کڈٕنی۔ زبردٔستی پے کڈُن۔ کھٕنٛز کھٕنٛز کأنٛسہِ کتھ بیترِ ہینٛی۔

کۄرٕ کاژُر :-سخ کاژر۔ سُہ شخص یُس شکلہِ گرِ تہٕ مَس کاژرٕ گرِتھ آسہِ۔

کۄڑ :-[<م۔ہ: کۄڑا]۔ ژھوٹھ کاٹھ لٹھ بیترِ۔

کۄشِش :-[م۔مۄل: کۄشِش <ف: کوشش]۔ وۄٹھ ژھاٹھ۔ گُنہٕ کامہِ پتہٕ لگُن۔ میحنَتھ۔

کۄشِش کرٕنی :-کینٛہہ کرنہٕ یا پرٛاونہٕ باپتھ اَتھ کھورواہنی۔ وۄٹھ ژھاٹھ کرٕنی۔ میحنتھ کرٕنی۔ ہِمتھ کرٕنی۔

کۄفی :-کوفگ روزُن وول۔

کۄکھ :-ہ [م۔مۄل: کۄکھ <پرٛاکرت: کُکّہ]۔ کأنٛسہِ اِنسانہٕ ہنٛز یڈٕ ہٕٹہِ کرٛکھ۔

کۄکھ تُلُن :-شور تُلُن، کرٛکہٕ نادٕ تُلُن۔

کۄل :-[ن۔مۄل: کۄل]۔ گرُٹ، ووز جاے سان۔ مُ: کولُن۔

کۄلی کاژُر :-وُچھو "کۄرٕ کاژُر"۔

کۄن :-[ن۔مۄل: کۄن <س: کونہ]۔ ییٚتِمن زٕ اَنٛد رَلان آسَن، زٲوِ یہِ۔

کوٗنَن لَدُن:۔ کاٗنٛپہٕ ناوُن، کھوٚژ ناوُن۔ شرٕ کنٛنِن ژاتُن۔

کوٗن تل نوٗن ژیٚٹِنہٕ یٚہُن:۔ موزوٗر گژھُن۔ تھوٚد وٕتھُن لایق نہٕ روزُن۔

کوٗن کڈُن:۔ ۱۔ زاُوی یہٕ بناوُن، کوٗن تٔر راوُن۔ ۲۔ خامہٕ خٔمک نو کتہٕ کڈُن۔

کوٗن نیرُن:۔ ۱۔ مکانٔس ہیٚتِر لب اَویزان گژھنۍ۔ ۲۔ کانٛہہ نوقص ہیٚتِر آسُن۔

کوٗن ییُن:۔ ۱۔ مشینہٕ ہیٚتِر پُرزَن اورٕ یور گژھُن۔ ۲۔ وول ہنۍ، ٹوٚنٹھ ہنۍ۔

کوٗنل:۔ یَتھ کوٗن آسَن، کوٗنہٕ دار۔

کوٗنہٕ:۔ ۱۔ کوٗن۔ ۲۔ ترٛاش ہتھ یتہٕ سَتر یرِ گُرتھ کٔنۍ پوٚسہٕ مکانہٕ کنٛس کوٗنَس تل تھوان چھِ۔

کوٗنہٕ کٔنۍ:۔ وُچھو ''کوٗن''۔

کوٗنٛج:۔ [ن۔مؤل: کوٗنٛج <ف: کُنٛج]۔ کوٗن، زاوی یہٕ۔ سو جاے ییٚتِنِہ زٕ پاس رَلان آسَن۔ اَنٛد، موڑ۔

کوٗنٛجس ژاتُن (کوٗنجن لَدُن):۔ سبٹھاہ تنگ کرُن، ژلنہٕ نٔس نہٕ وَتھ تھٲونۍ۔

کوٗنٛجہٕ ٹھوٚر:۔ سُہ بزیکٹ یَتھ تلہٕ پیٚٹھٕ کوٗنٛج کڈِتھ آسَن۔

کوٗنٛج کڈُن:۔ ۱۔ اَنٛد زٕ رَلاوٕنۍ۔ موڑ پھرُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٗٹھۍ) لُمتھ کانٛہہ نو کتہٕ کڈُن۔

۳۔ کُن کڈُن۔

کوٗنٛجل:۔ کوٗنٛجہٕ دار۔

کوٗنٛژھا:۔ [<س: کشچنہ]۔ کانٛہہ اُکھا۔

کوٗنٛس:۔ [ن۔مؤل: کٔنٛس <س: کینیسہ]۔ ۱۔ پنٛنہٕ واٗنٛسہٕ کھوتہٕ کم واٗنٛسہٕ ہُنٛد۔ واٗنٛسہٕ مٔژ وٕستھ۔ ۲۔ ژٕپری پٔہن وَونہٕ آمٕت فصل۔

کاٗنٛسہٕ گٹ:۔ واٗنٛسہٕ مٔژ وٕستھ (کانٛہہ ژٕنۍ) مااُہم۔

کاٗنٛسہٕ کوٗٹ:۔ ساری نے شُربن مٔژ کم واٗنٛسہٕ ہُنٛد۔ واٗنٛسہٕ کٔنۍ ساروٕے کھوتہٕ لوٗکٹ۔

کوٗنٛس گژھُن:۔ ۱۔ پتھ گژھُن۔ ۲۔ مولہٕ وسُن۔ ۳۔ واپھس ژیر گژھُن۔ فصل ہیٚتِر ژٕپری وَونہٕ یُن۔ ۴۔ ژٕپری وَونہٕ کٔنۍ فصل پوٚربٔنُن۔

کوٗنٛش:۔ [ن۔مؤل: کوٗنٛش]۔ ۱۔ پاٗزار۔ کھلہور۔ ۲۔ اکھ قسمِچ زنانہٕ چَپنۍ۔

کوٗنٛشہٕ کھلِر:۔ ژھیٚنٛمت کوٗنٛش۔

کوٗنٛشہٕ واٹل:۔ سُہ کاٗرۍ گر یُس کھوربانہٕ ہیٚتِر بناوان آسہٕ۔

کوٗہی:۔ [<ف: کوٗہی]۔ ۱۔ یٚمیُک تولُق بالَن سٟتۍ آسہٕ۔ ۲۔ بالَن پیٚٹھ روزن واٗلی۔ بالَن نکھہٕ روزن واٗلی۔ ۳۔ باٗلی باٗلی۔ ۴۔ وَن ہَنٛد۔ کوٚہو۔

کوٚب:۔ [ن۔مؤل: کوب/کوٚب: کُچہٕ/کُھر]۔ کمبرِچ ڈوکھ، چار بنٛدس کھوٚتمت ٹٔنٛگ، ییمہٕ سٟتۍ نِمتھ پکُن پیٚیہٕ۔

کوٗبس لَگِتھے دوا:-تیٖلہِ وَنان ییٖلہِ کانٛسہِ زَکھ واتناونٕچ کوٗشش کَرِتھ تہٕ تَس فائیدے واتہِ) خرابی منٛزٕ جانبر نیرنس پیٹھ وَنان۔

کوٗب آسُن:-ہجر آسُن، کمبر ہوٗل آسُن۔

کوٗب کرُن:-کمبر نوٗمراوُن، کمبر دوگُن کرُن ہوٗل کرُن۔

کوٗب کڈِتھ پکُن:-کمبرس ڈوکھ ژٲنٛتھ پکُن۔

کوٗب گل:-(ورگہٕ) ئُہ یس ساری نکھس کھسَن۔یس ساری گرِکرن۔سارِنے ہُنٛد لتہٕ داس۔ازموۄمت۔

کوٗب گل گَس چھُ، مُشدِ ہُنٛد تُلہٕ گل:-بُگی بدنام۔ یہ چھِ تمہِ بِھرِ وَنان ییٖلہِ کانٛسہِ اور یور یتھ ساری رٔتِن یا ییٖلہ کانٛہہ کنہ کنہ کرنہٕ یییہ۔

کوٗب گرُھن:-ا۔کُنہ چیٖزَس بون کُن تژاے گرِھنٕی۔۲۔(انسانس ہیتِھ) کمبر ڈوگُن۔

کوٗب نیرُن:-ا۔کُنہ چیٖزَس نصفہٕ پیٹھ بون کُن تژاے گرِھنٕی۔مِ، کٕچھ دژاو کوٗب۔۲۔کمبر ہوٗل گوٗھن۔کمبرس ڈوکھ اَژِنی۔

کوٗبراوُن:-ا۔ہوٗل کرُن۔کوٗب کڈُن (کانٛسہِ یا کُنہِ چیٖزَس ہیتِھ)۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ستاوٕتُلُن۔

کوٗپ:-[ن۔مؤل: کوٗپ < س: کوُپہ]۔سو بَتہٕ یتھ منٛز گوٗو یا تیٖل ہیتِھ اور یور پکناوِک زِ۔

کوٗت:-[<س: کُتہ]۔ا۔کتھ جایہِ۔کوٗکُن۔کتھ اَندس۔ ۲۔کتھِ پأٹھی۔کوٗ۔۳۔کُنے نہٕ۔بلکُل نہٕ۔

کوٗت تام:-ا۔کِتس کالس۔۲۔کتھ وقتس تام۔

۳۔کِتس دوٗرِ رَس۔

کوٗت تہٕ کور:-ا۔کتھ اَندس تہٕ دُپتھ گوٗ کُنے نہٕ۔ ۲۔بروٗنٛٹھی مہٕ کھوتہٕ سبٹھاہ۔کتہٕ کور۔

کوٗت کُن:-ا۔کتھ طرفس۔کتھ جایہِ۔۲۔تور کُن تیٖچ نہٕ خبر آسہِ۔تتھ اندس یُس وٕنس تَل آسہِ نہٕ۔

کوٗتتھ:-[مؤل: کوٗتتھ <س: کُترستھ]۔کتھ جایہِ، کتھ مقامَس پیٹھ، کوٗت نَس۔

کوٗتھ:-بنگہٕ یوس ناوِ ڈمبَس والِس تژاوان چھِ۔کوتھ۔

کوٗٹ:-ا۔ئُہ ہریاتَر یُس ہیلِو دانس نیران چھُ۔ ۲۔نچوٗ۔لوکُٹ ٹُر۔۳۔نژُن وول۔بچہٕ۔

کُٹ گاسہٕ:-اَکھ گاسہٕ قسم یُس نمبلن کھسان چھُ۔ دَپان یہ چھُ اَچھ داٗدِس دوا۔

کُٹ گاری:-تمہ گاری ییمن وِنہٕ کوٗج دَرے ہٕ آسہِ نہٕ۔

کُٹ گوٗلی:-لاوِ گاری گوجہٕ۔تمہٕ مبہٕ یمہٕ تاز گارِبن کڈنہٕ آسَن آمٕژ۔

کوٗٹ پھٹُن:-بیٖلِس تَر نیرُن۔بیوٗل زیوٗن ہیوٗن۔

کوٗٹ نیرُن:-وُچھو ''کوٗٹ پھٹُن''

کوٗٹھ:-[ن۔مؤل: کوٗٹھ <س: گھٹہ/؟ کُٹھ]۔ ا۔ئُہ جوڈ ییٖتھن بوو تہٕ زَنگ میلان چھےٚ۔ ۲۔طاقتھ، پھیرنہٕ تھورٕچ توژھ، ہِکتھ۔

کوٗٹھس پیٹھ آسُن:-پانہٕ ہے سارِے کأم کرِنی پیٚنی۔میحنتھ پیٚنی، ذمہٕ داری آسٕنی۔

کوٗٹھی اُنٹ:-سو ٹوٗپِ ہش یوسہِ کوٗٹھی کاڑِ پیٹھ

چھےٚ آسان۔

کۆٹھۍ بہتھ گژھنۍ :- پأربہٕن، وبسرٕن ہأبتھ گژھن۔

کۆٹھۍ بہنۍ :- ۱۔ پکِتھ نہٕ ہیکُن ۔۲۔ زنگن اِستادٕ روزٕنۍ توژھ نہٕ روزٕنۍ ۔طاقتھ نہٕ روزٕن۔ جۆرتھ نہٕ روزٕن۔

کۆٹھۍ پٕٹ :- ۱۔ سو پٕٹ یَتھ پیٹھ رٕٹتھ واتٕل پأزار بیترٕ سُوان چھُ ۔۲۔ سو پٕٹ یُس دادِ موکھٕ کۆٹھس گنٛڈِتھ چھِ تھوان۔

کۆٹھۍ پھُٹرٕنۍ / پھُٹراوٕنۍ :- اَپزی واوٕ دی دِی لٕٹہٕ لٕتھ کرناوُن۔ کُنہِ مقصدٕ ورأے پھیرٕ پھیرٕ دِوناوُن۔

کۆٹھۍ تژاوٕنۍ :- ہمتھ ہارٕنۍ۔ ہیکتھ نہٕ روزٕنۍ

کۆٹھۍ دَرِنۍ :- ہمتھ روزٕنۍ، زُور زتہٕ کرُن۔ سنبالُن۔

کۆٹھۍ دِوناوٕنۍ :- میحنتھ کرٕنۍ، زُوژٕٹُن۔

کۆٹھۍ ڈٕرراوٕنۍ :- ہمتھ دِنۍ۔ اِستادٕ کرُن۔ تھوٚدٕ تُلُن۔

کۆٹھۍ دِنۍ :- پتھرٕ پأوِتھ کأنسہِ یڈٕ پیٹھ کھسُن تہٕ کۆٹھۍ سپنس سُنٛزراوٕنۍ۔

کۆٹھۍ زولہٕ :- بیٚٹھے زِیہٕ گژھنہٕ۔ زولہٕ یمہٕ کۆٹھس پیٹھ کلہٕ تھوٚوِتھ مُنزی مُنزی گری زِ۔

کۆٹھۍ ژٕٹٕنۍ :- ۱۔ سخ دَوٕ دَوٕ کرٕنۍ۔ اورٕ یورٕ تہٕ یورٕ اور کرُن۔ ٹکۍ ٹکۍ سخ ٹھکراوُن۔ خاص کٕرتھ بیٚلہِ نہٕ کینٛہہ اتھِ یِیہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کأنسہِ نہیبہٕ کرُن۔

کۆٹھۍ ژوچہٕ :- تمہٕ ژوچہٕ یمہٕ شُرِس کۆٹھ ہیٚنہٕ پتہٕ بأگرنہٕ چھےٚ یوان۔ تمہٕ ژوچہٕ یمہٕ کأنسہٕ شُرِس کۆٹھ ہیٚنہٕ باپتھ خأراتہٕ کنہٕ بأگرنہٕ ہین۔

کۆٹھۍ کأژ :- کۆٹھیٚک تلُیم پاس۔

کۆٹھۍ کھوکھشہِ پکُن :- ۱۔ پتھرِس کۆٹھۍ دِتھ اورٕ یور پکُن ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بڑٕ مُشکلہٕ سان پکُن۔ پان لتھوان لتھوان بروٚنٛہہ کُن پکُن۔

کۆٹھۍ گنٛڈ :- پکنس ہٕنٛدِش۔ پھیرنس تھورنس رُکاوٹھ۔

کۆٹھۍ گنٛڈ کرُن :- پھیرنس تھورنس ہٕنٛدِش کرٕنۍ۔ أکۍ ہے جایہٕ روزنس پیٹھ مجبوٗر کرُن۔

کۆٹھۍ گنٛڈ گژھُن :- تژھ کانٛہہ رُکاوٹھ ہیٚنۍ یمہٕ کِنۍ نہٕ کُن تہٕ نیرُن بنہِ ۔ پھیرنس تھورنس نہٕ وارروزُن۔

کۆٹھۍ نہٕ نیرٕنۍ :- کُن گژھنس نہٕ وونٛدیُن۔ گرِ نیرنس نہٕ من کرُن۔

کۆٹھۍ نیٚیٹ :- وُچھو "کۆٹھۍ أٹھٕ"۔

کۆٹھۍ وٕٹ :- کۆٹھیٚک جوڑ۔

کۆٹھ پکُن :- پھیرنہٕ تھورنۍ ہمتھ روزٕنۍ۔ پھیرتھ تھوٚرتھ ہیکُن ۔اوزٕزٕ روزُن۔

کۆٹھ پھٹُن :- ۱۔ تیٚتھ کینٛہہ سپدُن یمہٕ ستۍ أکۍ ہے جایہٕ روٗزِتھ گژھی زِ ۔اور یور نہٕ حرکتھ کٕرتھ ہیکُن۔ ۲۔ ویٚمہٕ گژھُن ۔۳۔ (ووہو) سامٕرتھ نہٕ روزُن۔

کۆٹھ دیٚن :- سبزی تھٕل واریاہس کالس پأنژر نہٕ ہینہٕ کِنۍ ہیٚ گژھنۍ یالرِ پیٚنۍ۔

کوٚٹھ مۆرُن :- دوٚیمس جاے تراونہٕ باپتھ زنگہٕ وٹنہٕ بیٚیس جاے تراوُنی۔

کوٚٹھ یِن :- (شُری سُند) کھوٗچ تراُوِتھ پکُن ہیوٚن۔ زنگہٕ دَرنہٕ۔

کوٚٹھ پیوٚن :- پھیرتھ تھوٗرِتھ نہٕ ہیکُن، ترٛۄٹھ حالتھ گژھنۍ یتھ اور یور گرِتھ ہیکہِ نہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) بیکار گژھُن، کامہِ کوچہ لایق نہٕ روزُن۔ ۳۔ سیٹھاہ بجرِیُن۔

کوٚٹھن لوٚرِ ژٔنڈ ہِنۍ :- کینٛہہ تیُتھ سپدُن یمہِ سٟتۍ یہِ ذٕلۍ زِتہٕ زنگہٕ روٗزِتھ گژھن۔ بدخبر بیترِ بوزنہٕ کِنۍ زنگن نہٕ ہیکتھ روزٕنۍ۔

کوٚٹھن ہُنٛد کھیوٚن :- ثُم زٔم گاٹتھ گُزارٕ پکناوُن۔ سخ میحنتھ کرٕنۍ۔

کوٚٹھو پکُن :- تیز پکُن۔ لوٗرِ ہوٚت دوٚن۔ مِ: آرِ چھُ کوٚٹھو پکان۔

کوٚچ :- [ن۔ مۆل: کچ < س: کہ+ پچ] ۔ ۱۔ خام۔ نیوٗل۔ یہِ دُنہٕ پیٚومُت آسہِ نہٕ۔ ۲۔ یہِ نہٕ رَنہٕ پاکو نہٕ آسہِ آمٕت۔ ۳۔ دوٚس یُس دُنہٕ زامُت آسہِ نہٕ۔ ۴۔ خام سیرٕ بن ہُنٛد بنومُت۔ پوٚختہٕ نہٕ۔ ۵۔ یتھ پیٹھ نہٕ اُخری فاصلہٕ کرنہٕ آسہِ آمُت۔ سو گتھ بیترِ یوسہٕ دُنہٕ پوٚختہٕ آسنہٕ گامٕژ۔ ۶۔ کُنہٕ نوٗس پلوس اتھ سٟتۍ دِژِمٕژ یمہٕ پتہٕ ژلنہٕ چھےٚ یوان۔ خام سِلاے۔ ۷۔ یُس تجربہٕ آسہِ نہٕ۔ ناتجربہٕ کار۔ ۸۔ ناتیار۔ ۹۔ سُہ تحریر یتھ دُنہٕ نظر دِنے آسہِ۔ رَف۔

کوٚچ کرُن :- میژ سَرِ کرنہٕ باپتھ کُنہٕ پلوس کٕچ ٹیب تارٕنی۔

کوٚچ ؤمر کڈُن :- ۱۔ بژُس کرُن۔ ژیٛنٹھ کرٕنی۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) سختی کرٕنی۔ سخ کام کرناوُن۔ خاک کڈٕنی۔

کوٚڈمُت :- (ورگہٕ) بَدنام تہٕ بژگار۔

کوٗرا :- [ن۔ مۆل۔ کر < س: کٹہ] ۔ ۱۔ آرِ شکلہِ کانٛہہ چیز۔ ۲۔ ڈُلام بنگر، سُہ داتو ڈُلوم آرٕ یُس زیورِ پاٹھۍ نَر بیترِ لاگان چھہِ۔

کرِ گُنہٕ :- سو خاص قسمُچ گُنہٕ یتھ پیٹھ گاسہٕ بۄہرِ بیترِ رَزِ سٟتۍ گنٛڈِتھ گرِس پیٹھ اورِ یور سارنہٕ چھےٚ یوان۔

کٔری پھٔٹ :- کربن گومُت چھٔر، پھٔٹمُت کوٚر یُس کُنہٕ لگہٕ نہٕ۔

کٔری شرٛشرٛ :- اکھ خاص قسمُک شرٛشرٛ یُس کھارَس، سوزَس بیترِ تارِ دَرِ کرنس یا لمنس لگان چھُ۔

کٔری کھنٛجہِ پیٹھ دَل واٹرُل لاگُن :- سول کھارُن۔ موموٗلی کتھ پیٹھ نیاے ژلُن۔

کوٗر ۲ :- [ن۔ مۆل: کر < پراکرت: کڈڈ] ۔ ۱۔ کھٔ کوٚش۔ ۲۔ ہام۔ سُہ کزوژھ ہیوٚہ یُس بوچھ یا دادِ بیترِ سٟتۍ ڈٕتھن ییہِ زِبل۔ ۳۔ سورَب یوسہٕ اُبی زمینس بیترِ متھن وِزِبیرن گُن تراونہٕ یا پکناونہٕ ییہِ۔

کرِ پھیرنہٕ :- (ورگہٕ) سخ بوچھِ لگنہٕ کِنۍ وِڈٕھن۔

کۆرلگن۔(بوچھِ ستی) واہ سوئتھی۔
کۆرتژاوُن:-اُبی زمینس پیرِ متھن وِزیوٚن گن رَب پکناوُنی یا تژاوُنی۔
کۆرلگُن:-کُھ کوٚش یا ٹُل کتھ لگُن۔
کوٚژھ:-[ن۔مۆل:کژھ<س:اُتکوچہ]۔ا۔ٹھیلی۔
۲۔(ورگہ پاٹھی) رَشوٚ۔
کُرژھی خور:-رَشوٚرَٹُن وول۔راشی۔
کُرژھی کھاو:-وُچھو"کُرژھی خور"۔
کوٚژھ دیُن:-رَشوٚ دیُن۔کانٛہہ کام بیترِ کرناونہٕ با پتھ کانٛسہِ ناجایزپاٹھی کینٛہہ دیُن۔
کوٚژھ کھیوٚن:-رَشوٚرَٹُن۔
کوٚستوٗر:-[ن۔مۆل:کوٚستوٗری<م:ہ:کستوٗرا]۔اکھ گبوٗن جاناوار یُس لگولہِ ہنٛدِ رنگہٕ آسان چھُ
کوٚستوٗری:-[م۔مۆل:کوٚستوٗری<س:کستوٗری]۔ رۄسی کٹ،رۄسی سُند سُہ قِسم یُس نافہٕ نیران چھُ۔
کوٚستوٗری مُلی دِ کرِنی:-سخ خدمتھ کرِنی۔
کوٚستوٗری نافہٕ:-سُہ خاص قِسمُک خوشبودار چیز یُس رۄسس نیران چھُ۔
کوٚش:-ا۔کوٚم ہیوٚہ یُس اُٹس چھانٛتھ نیران چھُ۔
۲۔سُہ توہ یُس لُکرِ چیر تھ نیرِ۔۳۔چاے بیترِ رَسہ کڈتھ پتھ کُن دزاہرِ پتی۔چایہٕ پتی یوسہ رَسہ کڈِتھ پتھ کُن نیران چھےٚ۔
کُش دال:-سو دال یتھ کوٚش ٹلنہٕ آسہِ نہٕ آمت۔ کھلنے دال۔
کُش ژوٚٹ:-چھانہٕ نے اُٹس بناوٕمژ ژوٚٹ کُشش تھرنہٕ آمژ ژوٚٹ۔
کوٚش کڈُن:-ا۔بڑوٕکس کرُن۔کڑپُس کرُن۔
۲۔(ورگہ پاٹھی) پزنہٕ پیٹھی خرچ کرناوُن۔
تیوٗت خرچ کرناوُن یتھ پتھ کُن گُزار روزِنہٕ۔ پھگِتھ تژاوُن۔
کوٚش نیرُن:-ا۔تیوٗت خرچ گژھن یتھ پتھ کُن کانٛہہ گزار روزِ نہٕ۔۲۔سخ تھکاوٹھ گژھنی۔
کوٚل:-[ن۔کوٚل:کُل<س:کُلہ]۔یُس کتھ آسہِ نہٕ گرتھ ہیکان۔م:کج۔
کجہِ ہنٛز کورِ ستھ:-تہِ دُپتھ گو کانٛسہِ شخصس کُنہِ خاص وقتس پیٹھ ژھوپہ کرنک باند باند اُستھ تہٕ وَقتہٕ کارژ رِنیر تھ ژلُن۔
کلہِ کوو روۄکھ گلہِ گیی زو:-تہِ دُپتھ گو۔اپز وَنان وَنان مُنزی رُگن تہٕ پتہٕ نہٕ کینٛہہ پھورُن۔
کُلِس ڈوٚل:-کنہٕ ڈول۔بُزِتھ زورلاگن۔
کُلِس ڈوٚل لاگُن:-زانٛتھ مانٛتھ بے خبر لاگُن۔
اُکھتھ گوٚش دیُن۔زور انٛزو ان لاگُن۔
کُلِس مُلِس خودادوس:-تہِ دُپتھ گو یُس کانٛہہ اَتھ رۄٹ کرِنس آسہِ نہٕ تَس چھُ دَے پانے وَتھ ہاوان۔
کُلِس مُلِس خوداراُضی:-تہِ دُپتھ گو یُس کانٛہہ اَتھ رۄٹ کرِنس چھنہٕ آسان تَس چھُ خوداے

مَدتس آسان۔

**گٕلۍ بۄلۍ** :-۱۔گٕلۍ ہِنٛدۍ اشارٕ یِم سارِنٕے فِکرِ ترَن نہٕ ۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) پھِکرِ کتھ یوسہٕ فِکرِ ترَ نہٕ۔

**گٕلۍ ہِنٛز بول بوش زانُنہٕ گٕلۍ سُنٛد مول موج** :-
تہٕ ڈٔپتھ گوٚیُس یُس دیوٚ دآسہٕ تُسۍ ترَن تِہنٛدۍ
اِشارٕ فِکرِ۔

**گٕلۍ موٚنٛڈ** :-دَم کرن وول، ژھوٚپ، یُس ژٕرِ کتھ
کران آسہٕ نہٕ۔

**کوٚل کرُن** :-جواب دِنُس یا بحث کرنس نہٕ وار
تھاوُن ۔ تژھ کتھ وَنٕنۍ یتھ جواب نیرِ نہٕ۔
لاجواب کرُن۔

**کوٚل گژھُن** :-۱۔ کتھ تہٕ نہٕ پھورِنۍ ،ژھوپہٕ
گژھنۍ جواب نہٕ دِتھ ہکُن۔ جواب نہٕ نیرُن۔
۲۔کتھ نہٕ صاف صاف کرِتھ ہکُن۔

**کوٚم** :-[ن/م۔مۄل: کوٚم <س: کمبؤکہٕ]۔زأویُل
توہ،سو پھکھ ہِش یوسہٕ دانہٕس کیسرٕ ؤتھتھ
مُنٛنہٕ تلہٕ نیران چھےٚ۔

**کوٚم ہٕنٛج** :-۱۔ سو ہٕنٛج تگأرۍ یتھ منٛز چاروٲین
اُڈرِتھ کوٚم چھ دِوان۔۲۔ تیٚوٗت کوٚم یوٗت
ٹھُچھ دالتہٕ۔ واریاہ کوٚم۔

**کوٚم ژوچہٕ** :-کوٚمَس اُڈرِتھ تھُر نہٕ آمٕژ ژوچہٕ۔ییہٕ
چھُ غریب گرِکھن گُنزرنہٕ یوان۔

**کوٚم کرُن** :-۱۔پِشُن ۔ ژیٹُن ،پٕژرِ کرُن ۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) سخ ماردِیُن ۔

**کوٚم گژھُن** :-اوژھ آسنہٕ کِنۍ مُنٛنہٕ وِزِ دانہٕس ژوٗر
سٕیُر نیرُن۔توملَس ژال گژھنۍ۔مشینہٕ یا
کنزِس منٛز دانہٕس مُنان مُنان ریز گژھنۍ۔

**کوٚم یأج** :-۱۔اُڈرِتھ کوٚمَس بنیومُت اکہٕ طریقہٕ
سوٚن ووز۔۲۔بےٚ مزٕ تہٕ مومولی کھین ۔

**کوٚمب** :-[<س: کُمبہٕ]۔ پھمبرٕ نہٕ نُرِس بیترِ پُشہٕ
تہٕ وومُت یا پِٹھ لوگمُت مَل کوٚر۔

**کوٚمبی چھٕل** :-سو کپُر یتھ کوٚمب بناونہٕ ییہٕ۔

**کوٚمب لاگُن** :-۱۔نُرِس نِش تژاوُن۔۲۔ مألہٕ
پھمبرٕ نہٕ نُرِس پٹھ صاف کپر چھٕل وَلِنۍ یتھ زن
مَل دارحصہٕ تَل گژھِ۔

**کوٚمب ہیوٚن** :-مألہٕ گاٹِتس پھمبرنس نرٕیگ بروٚنٛہہ
کنٛیگ حِصہٕ چھٕلُن۔پھمبرنس نری یأتۍ چھٕلِنۍ۔

**کوٚن** :-[ن۔مۄل: کن<س: کرنے]۔۱۔دَپن وول،
سہٕ انسان یُس مہریٚنہٕ بلاونہٕ باپتھ سوزنہٕ ییہٕ ناید
نوٗٹ یُس مہریٚنہٕ پھرِ لٕہٕ مالِنۍ سوزن ۔

**کُنٛز موٚہنیو** :-سہٕ نوکرُیس کوٚن بناوِتھ سوزنہٕ ییہٕ۔
ستۍ وول۔

**کُنٛز وول** :-سہٕ زٔون یُس مہریٚنہٕ یا مہرازٕ ہِنٛدِ طرفہٕ
سوزنہٕ ییہٕ۔

**کوٗنۍ ۱** :-[ن۔مۄل۔کوٗنۍ <?س: کانکہٕ]۔بادٕمی
رَنٛگہٕ ہیوٗہ، شُٹس کاژُر رنٛگ۔

کۆنی داند :-ا۔ شُس کاژرِ رَنگہ۔۲۔(ورگہ پاٹھی) سہٕ یُس ہُتھرِ ستیٚ پھۆلُمت آسہِ، ہُتھرِ لدیُس ویۆٹھ پۆٹھ آسہِ۔

کۆنی ہاپُت :-ہاپہٕ سُند سہٕ قسِم یُس شُس کاژرِ رَنگہٕ چھُ آسان۔

کۆنی ۲ :-[ن۔مؤل : کۆنی]۔ا۔اَکھ وَسنٛز گاسہٕ قسِم یتھ رَز ہیترِ وُٹھان چھِ۔۲۔اَکھ داں قسِم۔

کۆنب :-[ن۔مؤل: کۆنب >س: کمبہ]پلوکین نرٕن ہتھ پُش تٕر وومُت یا پیٹھ لوگمُت مَل کوٚر۔

کانب لاگُن :-پھرٕنس ہیترِ مَل کوٚر لاگُن۔نالہِ پلوس مَلہٕ زنٕہِ بچاونہٕ باپتھ مَل کوٚر لاگُن۔

کۆنڈ ۱ :-[ن۔مؤل: کنڈ >س: گَنڈ]۔ا۔بوٚڈ بانہٕ، بٕڈ تگاری یا ڈُل ہیترِ۔م: مانٛزِ کۆنڈ۔۲۔رَنَن بانَس ژٕرکس دیتھمت ہَری پھَش۔

کَنڈی لیٚج :-ہَری لیٚج۔سہٕ بانہٕ یتھ منٛز کۆنڈ کرنہٕ باپتھ لوٗن تھونہٕ آسہِ آمُت۔

کَنڈی مَنڈل :-(ورگہٕ) رَبہٕ ہُند دیتھمت گَنڈی ژٕژوٚٹ (خجل کرنہٕ باپتھ)۔

کَنڈی داں ڈُل :-ا۔سہٕ بوٚڈ بانہٕ یتھ منٛز بانہٕ ہیترِ چھلنَک آب تھونہٕ آسہِ آمُت۔۲۔تیٚوٗت آب یُوٗت کَنڈی داں ڈُلس واتہٕ۔

کَنڈی ووٗنی :-رَبہِ ووٗنی سہٕ گَنڈِ پونی یمہٕ ستیٚ بانہٕ چھلنہٕ آسَن آمٕتی۔بلنہٕ چھٕلتھ پتھ گَن رُوٗدمُت آب۔

کۆنڈ کرُن :-ا۔رَنَن بانَن ژٕرکس رَبہٕ پھَش دِیُن۔ ۲۔(کانسہٕ) تھٕس رَب متھنی۔۳۔شُنگر کرٕنی۔

کۆنڈ مَل کرُن :-رَنَن بانَن ژٕرکس لوٗن تہٕ صفائی کرٕنی۔

کۆنڈ ۲ :-[ن۔مؤل: کنڈ >س: کنٹہ]۔ا۔زَنڈٕن یا گُلٕبن وژامُت نوک دار تھو۔سہٕ چیز یمہٕ ستیٚ ژُس لگہِ۔۲۔جنگلس منٛز سو جاے یتیٚ جنگلی جانور روزان آسَن۔ژھبدٕن۔۳۔سہٕ سامانہٕ یتھ پیٹھ سبزی یا موٗ گہنہٕ یِیہ۔م: مُچہ کۆنڈ۔

کنڈٕن پیٹھ دوہ گُذارٕنی :-تکلیفس منٛز آسُن، وُدٕ وُدٕ دوہ کڈٕنی۔

گَنڈی اَژٕنی :-(ورگہٕ) ڈراونہٕ یِن، ترٕ اَژنہٕ۔ مُشکلن منٛز پھَسُن۔

گَنڈی بَر :-اَکھ وَسنٛز گاسہٕ یتھ نلس گَنڈی ہی چھِ آسان۔

گَنڈی بوٚمبر :-تکرٕن ہُند اَکھ قسِم یُس عام تکر بو کھوتہٕ پٕٹھ چھُ آسان۔

گَنڈی پٕلی یار :-گَنہِ ژٕمپہٕ تکرس ہیترِ اَندی اَندی گَنڈنہٕ آمٕژ کنڈٕن ہنٛز پے۔

گَنڈی تار :-سو تار یتھ منٛز نوکدار کلی ہی آسَن تہٕ پَتہٕ کنہٕ یِیہ ژٕمپٕنس اَندی اَندی گَنڈنہٕ۔

گَنڈی تھُر :-سہٕ دوپھ یتھ گَنڈی آسَن۔کرٕڈ۔

گَنڈی دوپھ :-وُچھو ”گَنڈی زَنڈ“۔

گَنڈی زَنڈ :-سو گَنڈی تھُر یُس سہٕ زیاد تھدے مژ آسہِ نہٕ۔

گَنڈی زال :-ا۔سوژٕمپہٕ چھَل یا سہٕ یتھ منٛز یا اَندی

أنڈی گٔنڈی دو پھ آسَن ۔۲۔ سُہ گام یتھ وِتھِ سہلابہِ وِزِ شہر بچاونہٕ خاطرٕ ژھینن چھِ دوان۔

گٔنڈی ژھر :- مکانس یا وانس بیترِ پیٹھ کنہِ کوٗ ڈمُت پلوٗ ہیؤ یتھ روٗدِ بیترِ نشہِ بچاو گژھِ۔

گٔنڈی کڈٕنی :- (ورگہِ) مُصیبتن ہُند کڈرٕ ریہُمراوُن۔ تکلیفن ہنز دگ کم کرٕنی۔

گٔنڈی کاس کٔڈِتھ :- تہِ دٔپتھ گو: سارییٚ فِکرٕ موکلٲوِتھ۔ سورُے کینہہ اَند واتناوِتھ۔ ذِمہٕ دٲری بیترِ نِباوِتھ۔ فراغتھ لٔبِتھ۔

گٔنڈی گُرُن :- رامہِ گاڈٕ ہُند اکھ قسم۔

گٔنڈی وَتھرٕنی :- (ورگہِ) مُشکِل پاد کرٕنی ، تکلیف دیُن سختی کرٕنی۔

گٔنڈی وۄنی :- (ورگہِ) بگاڑُن ، کٲنسہِ سۭتۍ نہٕ رٕژھراوُن ، پرٕتھ کٲنسہِ سختی ولتہٕ ناوٕنی ۔ رٕژھرِتھ نہٕ پکُن۔

گٔنڈی ہُر :- گٔنڈی تھرٕ ہنز لٔنڈ۔ سولٔنڈ یتھ گٔنڈی آسَن۔

گٔنڈی ہل :- ہلہِ ہُند سُہ قسم یتھ مَس وال ہشہِ نچہٕ نچہٕ نچہِ چھےٚ آسان۔

کوٗنڈ۳ :- [ن ۔ مؤل: کنڈ]۔ کونجوٗس۔ سُہ یُس کُش کُش خرچ کرنہٕ باپتھ پٲنسہٕ کڈِ۔ بخیل۔

کوٗہ :- وُچھو "کوہ"۔

کوٗہستان :- [ن ۔ مؤل: کوٗہستان > ف: کہستان]۔ ۱۔ بال، کوہ، پانژال ۔۲۔ (ورگہِ پاٹھی) اَنبار۔ بوٗن ۔ یتھ کانہہ شُمار اچھنہٕ۔ پڑنہٕ پیٹھی ۔ م: پرِس پیو وکوٗہستان شین۔

کوٗہُنڈ :- [ > س: کہ + سنگہ ]۔ ۱۔ کُٹھ سُنڈ ، کسُنڈ ۔ ۲۔ نکار رٕنگی تہٕ وَننہٕ یوان۔ م: ہاسُہ کوٗہُنڈ۔

کوبُل :- [ن ۔ مؤل: کوبل > ف: کابُل] ۔ اَفغانستانُچ راز دانٕی۔

کوٗہلو پھرٕس :- ۱۔ پھرٕستک اکھ خاص قسم۔ ۲۔ (ورگہِ پاٹھی) سُہ یُس نہٕ پننس تہٕ پکِزٕ ۔ لاخار۔

کوٗہلو دَچھ :- اکہِ خاص قسمُچ مُدرٕ دَچھ۔

کوٗہلو دانٕن :- اَکھ خاص دانٕن قسم۔

کوپ :- [ن ۔ مؤل: کاپ > س: کا پالہ ]۔ ۱۔ ٹوٗپ، تال ۔۲۔ تھپھ ، ڈر (کانگرِ بیترِ ہنز)۔

کاپہ ییٚن :- قوبوٗ سپدُن ، اتھس منزٕ ییُن۔

کوپ دیُن :- کانگرِ کھو پرِس پُہری تہٕ درٕ نوٗلاگہٕ ناونہٕ۔ کانگرِ کھو پرِس تال ووٚتٕنی ۔ کانگرِ اوش دیُن۔

کوپ نیرُن :- کانگرِ ہنز درٕ تہٕ پُہری نیرِتھ تنی۔

کوتُر :- [ن ۔ مؤل: کوتر > س: کپوتہ / ف: کبوتر]۔ اَکھ وڈُن جاناوار۔

کوتَر باز :- یُس کوترن وُپھناوان آسہِ یا کوتَر وُپھناونس منزٕ دوٚیمین سۭتۍ مان کران آسہِ۔ کوتَر رَچھن وول۔

کوتَر جۆڑی :- ۱۔ زٕ کوتر، کوتُر تہٕ کوتٕر ۔۲۔ بأژن دون ہنز سُم جۆڑی ۔۳۔ تِم زٕ کوتر ییم مہرینہٕ مہرازس آلہٕ وِتھ تراوان چھِ۔

کوتَر رَتھ :۔تہٕ ڈٕپتھ گوسٕخ ووڈٕل۔ مِ: کوتر رَتھ ہش جاے۔

کوتَر موٗر :۔سُہ اول یتھ منٛز کوتر روزان آسَن۔ کوترن ہنٛد باپتھ بناونہٕ آمژ جاے۔

کوتَرنَل :۔ٹنگن ہُنٛد اَکھ قسم، اَتھ چھُ دَن ووز جار سان آسان۔

کوٗٹ :۔[م۔مؤل: کوٗٹ < اَنگ: کورٹ Court] عدالتھ۔

کوٗٹھ۱ :۔[ن۔مؤل: کوٗٹھ < اَنگ: کوٹ Coat]۔نأژِ لاگنُک اَکھ پٔتھِمہٕ پلو یتھ بُتھِ بٔٹَن لا گتھ چھِ تہٕ ژٕرٕ ہُرُس تام آسان چھِ۔

کوٗٹھ۲ :۔[ن۔مؤل: کوٗٹھ]۔شوٗٹھ۔ بچور، نحقہٕ لوٗ گمٕت، بٔڈِ وَلنہٕ آمٕت، ہہنہٕ آمٕت۔ مِ: سُہ کوٗٹھ۔

کوٗٹھ۳ :۔ [ن۔مؤل: کوٗٹھ < اَنگ : کوٹ کارڈ Coatcard]۔ٹرٛپھس منٛز پوٗتُس پتہٕ سَتھ سَرٕ ننہٕ۔

کوٗٹھ کرُن :۔ٹرٛپھ گنٛدنس منٛز سَتہٕ وٕے سَرٕ ننہٕ تہٕ دوٕیمس ڈٕرِس نہٕ کانٛہہ پننہٕ دِنٛی۔

کوٗٹھ گرٕ ڈھن :۔ٹرٛپھس منٛز اکھ دوٗر۔ پوٗتُس پتھ سَتھ سَر زینٛن۔

کوٗٹھ۴ :۔[ن۔مؤل: کاٹھ < س: کاشٹھ ]۔ پھَہٕ کوٗٹ، پھاسہٕ کوٗٹ۔

کأٹھس پٔٹھ آسُن :۔(ورگہٕ) تاوٕنس منٛز ہہنہٕ آمٕت آسُن۔ کوٕ پأٹھی لوٗ گمٕت آسَن۔

کأٹھس کھسُن :۔ا۔ پھاسہٕ کھسُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) بلایہٕ بُتھِ نیرُن۔

کأٹھس کھارُن :۔ا۔ پھاسہٕ دیُن، پھأسی دِتھ مارُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) بلایہٕ منٛز گیر کرُن۔ ۳۔خرچہٕ تارنس لاگُن۔

کأٹھس لَدُن :۔ا۔ پھاسہٕ لَدُن۔۲۔کُنہٕ منٛز وٕلتہٕ پھساوُن۔ چورتہٕ کرُن۔ بلایہٕ بُتھِ دیُن۔

کوٗٹھہٕ :۔[ن۔مؤل: کوٗٹھ < س: کوشٹھ ]۔ا۔ گدام، سو جاے یتہِ چیز بیتر تھاونہٕ ین۔ گُٹھ۔۲۔اوٗک پورسوٗ ٹرٛپٕش کُرِتھ مکانہٕ۔

کوٗٹھ دار :۔[نٓ۔مؤل: کوٗٹھہٕ دار]۔ا۔ تیرن بیترٕ ہُنٛد کارٕ بار کرن وول۔ تیر باپأرک۔۲۔بوٗ ڈباپأرک۔ تھوک کِنَن وول۔

کوج :۔[ن۔مؤل: کاج < س: کالہٕ]۔سُہ غذا یُس دُپہرس کھیوان چھِ۔ منٛز ڈٕنگ۔

کاجُک :۔کاج وٕتُک۔

کأجس بأ گِین :۔وِچھو ''کأجس بأ گ''۔

کأجس بأ گ :۔تمہٕ ساتہٕ ییٚلہٕ دُپہرک بَتہٕ کھیوان چھِ۔ دوہلیٚنگ بَتہٕ کھینہٕ وِزِ۔

کاج گاسہٕ :سُہ گاسہٕ یُس چاروایِن دُپہرس تڑاونہٕ یِیہٕ۔

کوج تڑ اوُن :۔ا۔ بٔٹن ہنٛد اَکھ رَسم یَمہٕ کِنہٕ کانٛسہٕ ہِنٛد مرنہٕ کینٛژُس وقتس نکھہٕ نکھہٕ رِشتہٕ دار صِرف شامَن بتہٕ چھِ کھیوان تہٕ دوٕہس چھِ فاقہٕ

دِوان۔۲۔چار واین دُپہرک گاسہٕ ترٛاوُن۔

کوج کرُن:-دُپہرک بتہٕ کھیوٚن۔م:اَسہِ کوٚر کوج پڑاوس پتھ۔دُپہرُک کھیٚن کانٛسہِ ہنٛدِ باپتھ تیار کرُن۔م:اَسہِ کوٚر تمن کوج۔

کوج کھیاوُن:-بِمار فاقو پتہٕ دوہلیٚک بتہٕ کھیاوُن۔ کانٛسہِ ہنٛدِس مرنس پتھ کوج ترٛاوَن وول کوج کھیاوناوُن۔

کوچہٕ:-[ن۔مۄل:کوچ<ف:کوچہ]۔۱۔دور۔ژھوٚٹ وَتھ۔مکانَن یا دیوارن منٛز باگ ترٛاونہٕ آمٕژ جاے۔۲۔(ورگہٕ)خیالن ہنٛد ہیر پھیر۔م:ژٕ کمن کوچَن گوکھ۔۳۔(ٹوپہٕ گرِی کتھِ)گرِٕی نہٕ کھجرٕ پانٛژہ،گراہ لٔژ۔

کوچَن گژھن:-(ورگہٕ پأٹھی)خیالن منٛز راوُن۔ فِکرن گژھن۔

کوچہِ پھیٚر:-(ورگہٕ پأٹھی)وَتہِ ژٔلُن۔

کوچہِ پھیٚر کرُن:-۱۔وَتھ ڈالِتھ ژٔلُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی)دوکھ دیُن۔وَتہِ ڈالُن۔ ۳۔(ورگہٕ پأٹھی)اصل کتھ منٛز اُتھ بیٚیہ کٕنہِ کتھِ کُن لاگُن۔

کوچہٕ کوچہٕ پھیرُن:-ہبابٕدرِی گژھن۔دَربدَر پھیرتھ دق ضایہِ کرُن۔پھیرِی پھیرِی دق راوُن۔م:وَتہِ وَتہِ پھیرُن۔

کوچہِ گردان:-دَربدَری لد۔وَتہِ وَتہِ پھیرتھ دق ضایہِ کرن وول۔

کوچہِ گردأنی:-دَربدَری۔آوارٕگی۔

کوچہِ گردأنی گیہِ حال حأرأنی:-بےٚ مقصد وَتہِ وَتہِ پھیرُن چھےٚ آوارٕگی آسِنچ حالتھ۔

کوچہِ گوٚل:-سو وَتھ یپأرِ کوچس منٛز اُژِی ژٕ۔ کوچس اَژنٕچ یا کوچہٕ منٛزٕ نیرنٕچ وَتھ۔

کود:-[ن۔مۄل:کاد]۔نالس یا دامنس پٕجرٕنس أندرِی اُاجھِٕ وَجہِ چھَل،سُہ لٔژِ یُس ٹوپہٕ ہُنٛد دمہٕ پٕجرٕنس لاگان چھِ،سنجافہٕ۔

کوڈا۱:-[ن۔مۄل:کاڈ<؟]۔اَکھ جنگلی بوٗٹۍ یمیُک مۄل چار واین گرمی تھاونہٕ موکھ دِوان چھِ۔

کوڈ۲:-[ن۔مۄل:کاڈ<س:گوٗرو]۔مغز،دبماغ۔ منگہٕ(اَمیُک جمع چھُ کاڈِ یمیُک مانے چھُ عَقِل،سوچنُک طاقتھ)۔

کاڈٕبن تارُن:-وارٕ پأٹھی سمجاوُن،زورٕ فِکرٕ تارُن (ہُش پأٹھی ہزلہٕ ونان)۔

کاڈٕبن کھسُن:-۱۔شرارتھ کھسُن،ژٕکھ کھسٕنۍ۔ ۲۔اہنکار گژھن۔تکبُر گژھن۔غوٚرٕرٕ گژھن۔

کاڈٕرُس:-بےٚ مغز۔بےٚ عقل۔یُس بوزٕ شوزٕ آسہِ نہٕ۔

کاڈِ ووٗنۍ:-۱۔(ورگہٕ پأٹھی)۔۱۔سخ مار دیُن، سخ چوب دِنۍ۔۲۔تیُتھ جواب وَنُن یُتھ بوزَن وألِس واپس کینٛہہ وَنُن تگِہ نہٕ۔بخشس منٛز ہارٕناوُن۔

کاڈِۍ ڈٲلِنۍ :-۱۔ (ورگہٕ پٲٹھۍ) کتھِ نہٕ واتُن۔
۲۔ فأتر گژھُن۔

کاڈِۍ کڈِنۍ :-۱۔ کھاسر پھاٹہٕ پِنۍ ۔۲۔ کتھِ ستۍ
تھکراوُن۔ سخ بکواس لاگُن ۔مبنگہٕ دَگ ٹلنۍ۔

کاڈِۍ کھیٚنۍ :-(ورگہٕ) ژٕرِ کتھِ گرِی گرِی تنگ اَنُن۔
بکواس گرِ تھ پتۍ اَنُن ۔ ژھوپہٕ دوپہٕ گرِتھ نہٕ
بیٚہنہٕ دیُن۔

کاڈِۍ وٕ ٲسِنۍ :-(ورگہٕ) سخ کلہٕ دوداسُن ۔وَدنہٕ ستۍ
کلہٕ گژ وژُن۔ (دادِ بیترٕ ستۍ) مبنگن دَگ آسنۍ۔

کاڈِۍ وائِلنۍ :-وِچھِو" کاڈِۍ کڈِنۍ " مانے ۲۔

کاڈِۍ وٕ تھنۍ :-لڑٲے کرنس غرض آسُن۔ تیُتھ وٕطیر کرُن
یُتھ باسہٕ زِ زَن چھُ ژونہٕ آمت ،مہیز وٕ تھنۍ۔

کاڈِۍ وِسرِنۍ :-(ورگہٕ پٲٹھۍ) حبس ہوش نہٕ روزُن۔
بوزِ شوژنہٕ روزِنۍ ۔ باثبرُن۔

کاڈِۍ ہوشہٕ اَنۍ :-(ورگہٕ پٲٹھۍ) ۔۱۔ دِماغ وَتہٕ
اَنُن ۔۲۔ کبر والُن ،اَہنکار پھُٹراوُن۔ غوٗرٕوٗر
کم کرُن ۔۳۔ سزا دِتھ کانہہ وَتہٕ اَنُن ۔وَتہٕ
ڈٕ ولمُت وَتہٕ لاگُن۔

کوڈ ۳ :-[ن۔مؤل: کاڈ>پڑاکرت: کڈڈھ>س:
کرٛشٹہ]۔ کاڈِۍ یِنڈر چلاوَن وول۔ سُہ یُس
کپسہٕ منزٕ توٗڈ اَلگ کڈِ۔

کاڈِۍ بانے :-کاڈِۍ ہنزٕ زنانہٕ۔ یوسہٕ کپسہٕ منزٕ توٗڈ
ژاران یا کاڈِۍ یُنڈرٕ ستۍ اَلگ کڈان آسہٕ۔

کاڈِۍ تیل :-توٗڈِ تیل ۔سُہ تیل یُس کپسہٕ بیٛأنٕس
نیران چھُ۔

کاڈِۍ یِنڈر :-یِنڈرِ چالہٕ اَکھ میمہٕ ستۍ کپسہٕ منزٕ
توٗڈِ بیوٗن چھِ نیران۔

کوڈٕر :-وِچھِو"گُر"

کور :-[>س: کہ+پُر]۔ کتھ جایہٕ۔ کتھ طرفس کُن۔

کورکُن :- کتھ طرفس، کتھ اَندس۔ کتھ وَتہٕ۔

کورَس :- [ن۔مؤل: کورس >اَنگ: کورس:
Chorus]۔سُہ بأتھ یُس واریاہو گوٚن والیو
سۭمتھ گیوومُت آسہٕ۔

کورَم :-[ن۔مؤل: کورم>اَنگ: کورَم Quorum]
کُنہٕ کمیٹی بیترٕ ہنٛد بن ممبرن ہنٛد مُقررکرنہٕ آمت
سُہ تیداد یُس کانہہ فأصلہٕ نِنہٕ باپتھ ضروٗری
مانہٕ ییہٕ۔

کورَو :-[مؤل: کورَو>س: کورَو]۔ دِژت راشٹر ہنٛدۍ
شُرۍ ییمو مہابھارتکس جنگس منزٕ پانڈوَن ستۍ
لڑٲے کٔر۔

کورِ ا :-[>وُچھو۔کور]۔ کپأرۍ، کمہٕ اَنٛدٕ۔

کورِ کنہٕ :- کمہٕ اَنٛدٕ ، کمہٕ طرفہٕ۔ کمہٕ پاسہٕ۔

کورِ گنٛن :- کمہٕ طرفہٕ کنۍ ہیٛوٕ ، کمہٕ پاسہٕ کنۍ۔

کورِ کنیٛگ :-کیٛتھ، کمہٕ جایہٕ ہُنٛد ستہٕ نہٕ کینٛہہ تہٕ۔
م: ژٕ نے کورِ کنیٛگ حِصہٕ کھسی۔

کورِ ۲ :-[مؤل: کور>س: کومار]۔۱۔ نوٗو۔آسنہٕ نے

(بانہٕ)۔۲۔ چھلنَے۔۳۔ بل گُل خاً لی۔۴۔ یتھ نہٕ لیکھنہٕ آسہٕ آمُت۔۵۔ یتھ نہٕ کینْہہ لاریا سارِ۔۶۔ یَس نہٕ کینْہہ پَلہٕ آسہٕ پیوٚمُت یا مغزَن سار یوٚمُت آسہٕ۔

کوٗرِ بانہٕ:۔سُہ نوٚو بانہٕ یُس وُنہٕ آسُنمُت آسہٕ نہٕ۔

کوٗرِ تھوٗن:۔بکل گُل کینْہہ نہٕ دیُن۔ژھوٚرُے تہٕ اَن ہچھرِ تھوٗن۔تیٚتھے تھوٗن یتھ بذاتی آسہٕ ہے۔

کوٗرِ فاقہٕ:۔سُہ فاقہٕ یتھ منٛز نہٕ کینْہہ کھیٚیہ زِ۔

کوٗرِ کپُر:۔نوٚو کپُر، یُس کپُر وُنہٕ کُنہٕ استیمالس لاگنہٕ آسہٕ نہٕ آمُت۔ چھلنَے کپُر۔

کوٗرِ پچھ:۔سوٗنہٕ پھوٚٹمُت نیٚک پچھ۔سُہ لوو گاسہٕ یُس موچھ منٛز تہٕ ییہ نہٕ۔

کوٗرکاہ:۔سُہ فاقہٕ یتھ کینْہہ کھیٚیہ زِنہٕ۔

کوٗرِ لُٹھ:۔لُٹھک اَکھ قِسم یُس ہَن کھنڈ لیوٚ ور چھُ آسان۔

کوٗرگن:۔تم کاشُری یِمَن یم نوکر پیشہٕ آسَن۔

کوٗرہٹ:۔اَلہٕ بانہٕ ہُنٛد سُہ حِصہٕ یتھ منٛز لارِ اتھ تہٕ لانٛز پھساوِتھ چھِ آسان تہٕ بُتھِ چھس تیٚتھس پھال لاگِتھ آسان۔

کوٗسم:۔[<س: کُسمہَ]۔۱۔پوٚش۔۲۔ واٚنگن رنگہٕ اکھ پوٚشہٕ ذاتھ۔

کوٗسمَن کرٛاو کرٛنی:۔۱۔پوٚش چھاوٕنی۔۲۔(ورگہٕ پاٚٹھی) عاش کرٛنی۔

کوٗش:۔[ن۔مؤل: کوٗش<س: کوشہَ]۔لِفظ سوٚمبرن۔ ڈِکشنری۔سو کِتاب یتھ منٛز لِفظ تہٕ تِہَند ہِنٛدی مانے بیتر دٔرج آسَن۔

کوفہٕ:۔عراقُک اَکھ مشہوٗر شہر۔

کوفوٗر:۔[ن۔مؤل: کوفوٗر<س: کرپوٗر]۔اَکہِ قِسمُک ٹھوس شٕٹھر ژومُت تیل یتھ جان مُشکھ یوان چھُ۔(یہِ تیل چھُ گُلبن نیران۔تہٕ کُنہٕ کُنہٕ نقلی تہٕ بناونہٕ یوان)۔

کوفوٗر دیُن:۔لانٛژہ بناوُن۔مَردِ یتھ خَتم کرٛنی۔

کوفوٗر رَنگ:۔چھوٚت رنگ، تیٚتھے رَنگ یتھ شیٚنس چھُ آسان۔

کوٗکُل:۔[کوکل<ف: کاکُل]۔یَس لٔٹھر۔

کوٗکُلِ پیچان:۔کاٚوٕ دارمَس۔سُہ مَس یتھ واٚنکی آسَن گاٚٹی، کاٚنکنہٕ مَس۔

کوٗکُلِ خَمدار:۔وِچھو "کوکل پیچان"۔مِ:

کوکلہٕ خمدٲرِ نیٚوٚم

از نگاہِ دہن ودِل

کوکھ:۔[م۔مؤل: کوک]۔یٔتھ۔چاو۔دزٕ بزٕ۔

کوکھ پھٹنی:۔سوزٕ ے دزٕ بزٕ وَسُن، تیٚہہ پھٹنی۔

کوکھ چارٕنی:۔پٕنٛن پان سجاوُن۔یٔتھ کرٛنی۔

کوکھ ہاوٕنی:۔بجر ہاوُن۔چارٕ یٔتھ ہیُن۔

کول ۱:۔[مؤل: کال<س: کالہَ]۔کُنہٕ ڈٔنگُک، وٕتھک، کالُک۔مِ: اوٚنک کول۔

کول۲ :- [ن۔مؤل: کال <س: کالہ ]۔کرٛہُن۔ کرٛیٚہنہِ رَنگہٕ۔

کول۳:- کأشرٕ بن ہٕنٛزا کھ کرٛام۔

کولَل :- [ کورِ دِنَل 'لفظُک ژھوٚٹ ]۔ا۔ (حقارتہٕ سان وَننہٕ یوان) بَد ذاتھ،رٕ زیلہٕ۔کولہٕ۔

کولہٕ :-ا۔ (شُرِس ٹاٹھنیار سان وَنان)۔شیطانہٕ۔ ۲۔(بُڈِس ژَکھِ سان وَنان)رٕ ذیل۔

کولہٕ سَر :- ہرمو کھ گرٛھِ وُن اَکہِ سرُک ناو۔

کولُر :-[ن۔مؤل: کولر <؟س: کلکہ <س: گُلیر ]۔ گاڈَن ہُنٛد اَکھ قسم۔

کولُن :-[ن۔مؤل: کول]۔کانٛہہ کھبنہٕ باد بیترِ لِہوُن یا تٔلنٛین دِنہٕ ستیٚ کاژُرن۔

کوم :- وِچھِو "کأم" م:

اَمہِ زأم ؤنی نم کامہِ پیٹھ کوم ہبتر اوُن پیوم

(صمد میر)

کوٚمَل :-[مؤل: کوٚمَل <س: کوٚمَلَہ ]۔ نرٕم، اُوٚیُل۔

کون۱:-[ن۔مؤل: کان <س: کنٛد ]۔ییرٕ چ یاسَترٕ چ بیترِ سو ژٕنی تٔلِس پیٹھ وَلنہٕ آہرٕ کوتھ۔

کون۲:-[ن۔مؤل: کان <س: کانٛڈ/کونَہ ]۔لُکرِ چھَل، لُکرِ ٹُکرٕ۔لورِ کُٹُن بیترِ۔

کون قلم :-ا۔ کھٔنٛڈی پھٔٹ قلم ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سُہ قلم ییمہِ ستیٚ دوٚیمِن خلاف لیکھنہٕ ییہِ تہٕ تِمن ییہِ نوقصان واتنادِنہٕ۔۳۔اَن پَرسُنٛد قلم۔

کون۳ :-[ن۔مؤل: کان <س: کانہ]۔ سُہ یُس اَکۍ اُچھ ٹھیکھ آسہِ۔یَس صرف اَکِس اُچھ گاش آسہِ۔

کانہٕ اُچھ گاش :- کٔنۍ نچُو یَس پیٹھ سوٗرے آسہِ۔

کانہِ گُرِ کاہ مأل خور :- یہِ چھِ تمہِ پھِرِ وَنان ییلہِ کُنہِ تتھ چیزس وارِیاہ داوا دار آسَن ییتھ ژَکہِ کانٛہہ خاص مول آسہِ نہٕ۔ظ

کون گرٛٔھن :- اَکِس اُچھ نہٕ گاش روزُن، کیٛنٛہہ صستیٚتھ سپدُن ییمہِ ستیٚ اَکھ اُچھ خراب گرٛھِ۔۲۔پیوٚت پھُٹُن یاپود پھُٹُن (قلمس یا ہرٛنہِ) کھوٚتھ گرٛٔھن نالگہٕ ہار گرٛٔھن۔ ۳۔(بیہِ) سرٛ و بند گرٛٔھن۔

کون۴:-[ن۔مؤل: کان]۔ا۔سُہ یُس برٕ زِگلین برٕ زِ وَتن تلہِ۔۲۔سُہ یُس پرانٛین مکانن ہُنٛد مَلبہٕ ہوان چھُ تہٕ اَمیُک کارٕ بار کران چھُ۔

کون ۵:-[ن۔مؤل: کان]۔ ووبا۔ مَظہرٕ۔سو بیمأری ییمہِ ستیٚ ڈُولگہِ۔ م: کوکرکون۔مُرگی چہ کون۔

کأنی بُڈ :- وِچھِو "کون۵"۔

کون ووتھُن :- ووبا ووتھُن، دود ووتھُن۔ڈُولُکُن۔

کون یِن :- ووبا یُن، مَظہرٕ ستیٚ مرُن۔ڈُولُکُن۔

کونہٕ:-[<س: کم نَہ]۔ کتھِ پأٹھی نہٕ کیازِ نہٕ۔وَجہ کیا چھُ۔

کوتَل :-[ن۔مؤل: کوتَل <ف: کُتل <ہ: کوتَل]۔ ید کھ تِم سَجأوِتھ گرٛی یِم سرکأری سوار بیترِ بروٚنٛہہ

بروٗنہہ آسان أسی۔ بَرأژ أندر مہارازس بروٗنہہ بروٗنہہ یا جۆلوٗسس بروٗنٹھ بروٗنٹھ (سوارِ روس) ترأوِی ہتی گُری۔

**کوٗشلہِ گُر** :-ا۔ سُہ گُریپس آڈِوباڈِو کنہِ بۆڈ آسہِ تہٕ جۆلوٗسس بروٗنہہ بروٗنہہ ژلوٗن لایق آسہِ۔ ۲۔(ہزلہٕ) سُہ یَس آغہٕ (پننہِ شانہٕ خأطرٕ) ٹٔکی زَنگہٕ ژٹناوِ۔

**کوٗٹلی** :-[م۔ مؤل: کوٗٹلی]۔ تمہٕ ہرِ یمہٕ دلنہِ لوٗنتھ دال موٗنجن پھٹَن۔

**کوٗٹل** :-[ن۔ مؤل: کوٗٹل]۔ سُہ زیوٗٹھ لٔر یتھ تہرس کووہیوٗ بنأوِتھ چھُ آسان تہٕ یَتھ منٛز پھسأوِتھ گاسہٕ بیترِ ہیوٗ رِپلناوان چھِ۔ لادوور۔

**کوٗتلِس لدُن** :-کانٛہہ گُنہِ مُصیبتس منٛز پھسأوِتھ پانہٕ پوٗت ہیوٗن۔

**کوٗنتھ** :-تھرِکھور (بروٗنہہ کالیُک) کھور بانہٕ۔

**کوٗنتھ مأج** :-[م۔ مؤل: کوٗنتھ مأج: <س: کانتا+مَہلا] (ہزلہٕ) بُڈ دبد۔ رازٕ بایے یہِ چھےٚ کانتا مانتا ناوِچ کمہِ تام بَڈِ گرِچ دبد أسمٕژ اَوِ کنہِ چھِ تَس دنان یوسہٕ بجُرِ کی دَم دِیہِ۔

**کوٗنڈ** :-[م۔ مؤل: کونڈ <س: کنڈُ]۔ میٛژ بیترِ ہنٛدی چیز پیٛیہٕ ٹنک بٔنہٕ۔

**کوٗنڈِ گرٛوھن** :-ا۔ دٔزِتھ پیوٗن۔ گُنہِ لایق نہٕ روزُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) تپلِہ گوٗھن مُشکِلس منٛز ہینہٕ یُن۔

**کوٗنڈِ لدُن** :-ا۔ گوٗنڈِ منٛز بند کرُن۔ کوٗنڈِ منٛز دَم کرُن۔ کوٗنڈِ منٛز زالُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سِتم کرُن۔ سخ کھتیرِ کرُن۔

**کوٗنڈٕ بَل** :-سوجایے یتھین کوٗنڈِ لاگنہٕ ییہِ یا لأ گتھ آسہِ کانٛہہ چیز بیترِ پییہِ نچ جایے۔

**کوٗنڈٕ پھرٕنی** :-اکہِ پھرِ لاگنہٕ آمٕژ کوٗنڈٕ نہٕ کھسنہٕ کنہِ مُژرٕنی تہٕ پتہٕ نوٗسرٕ لاگنی۔ پَینہٕ باپتھ کوٗنڈِ منٛز تھونہٕ آمٕژ بانہٕ بیترِ نہ کھسنہٕ کنہِ نوٗسرٕ کوٗنڈٕ برٕنی۔

**کوٗنڈم زالٕنی** :-کوٗنڈٕ برِتھ یا کھأرِتھ تَتھ ژٕ کھدیُن۔ کوٗنڈِ سٔند راوُن۔

**کوٗنڈٕ کرٕنی** :-ا۔ یِکہٕ وَٹہٕ سوٗمبرِتھ نار دیُن۔ ڈیرِس تھٔوِتھ زالُن۔ ۲۔ کوٗنڈِ لدُن۔

**کوٗنڈٕ کھسٕنی** :-ا۔ کوٗنڈِ منٛز تھٔوی ہتی بانہٕ بیترِ ٹھیکھ پأٹھی پَینہٕ ینٕی۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) کأم رَتھِ کھسٕنی، اَتھِ ینٕی۔ ۳۔(ورگہٕ پأٹھی) زِندگی منٛز پوٗرُن۔

**کوٗنڈٕ گرٛھنی** :-کوٗنڈِ ہنٛدی پأٹھی أندری وُپُن۔ أندری أندری دَزُن۔

**کوٗنڈٕ لدٕنی** :-پینہٕ باپتھ تیوٗتاہ زیُن بیترِ ترأوِتھ بانہٕ یا سیر تٔژرِ تھونہٕ۔

**کوٗنڈٕ لاگٕنی** :-(بانہٕ یا سیرِ پینہٕ باپتھ) کونڈٕ تاوٕنی۔

**کوٗنڈٕ کھسٕنی** :-کارس سپز رنہٕ گرٛوھن۔ پوٗرُن نہٕ۔

**کوٗنڈَل** :-[ن۔ مؤل: کونڈل <س: کُنڈلہ]۔ اَکھ سَر

ییٚمہِ منٛز ویٚشو نیران چھےٚ ۔ ویٚشنہٕ پاد ۔ کرٕم سَر ۔

کوٗنسَر :۔[ن ۔ مؤل: کوٗنسر > س: کرٛمہ سَر]۔ اَکھ سَر ییٚمہِ منٛز ویٚشو نیران چھےٚ ۔ ویٚشنہٕ پاد ۔ کرٕم سَر ۔

کوٗنسَر ناگ :۔ وِچھِو ''کوٗنسر''۔

کونسَل :۔[م ۔ مؤل: کوٗنسل > اَنگ: کوٗنسِل Council]۔ مامَلن بیٚترِ دَل دِنہٕ تہٕ اَنٛزراونہٕ باپتھ یا مشورٕ دِنہٕ باپتھ جماتھ یا اَدارٕ ۔

کونکہٕ وُن :۔ ۱۔ ژَرژُن، ژَرٕ ژنہِ ہیُن، کوتھوُن، اَنکہٕ وُن ۔ ۲۔ ژیٚنُن، فِکرِ ترُن ۔

کوٗنگُل :۔ سہٕ خانہٕ یُس سَرٕ گتہٕ اَنٛدی اَنٛدی آسان چھُ ۔ سَرٕ گتہٕ اَنٛدی اَنٛدی بناوَنہٕ کوٗنٛڈج ۔

کونکُن (کانٛگُن):۔ شیکُن، ژَرژُن نظرِ روزُن ۔ کوتھوُن ۔

کونکناوُن :۔ ۱۔ مولہٕ وُن، تارٕیف کرٕنی ۔ ۲۔ شینکُن ۔ ژَرٕ نہٕ روزُن، کوس روزُن ۔

کووٕا:۔[ن ۔ مؤل: کاو > س: کاکہ]۔ ۱۔ (کُنہٕ چیزس) ترٛشہٕ ڈوکھ آسنی ییٚتھ اَمہِ چہٕ تالہٕ ژمیلن ۔ کاژہِنٛز شٕکل ۔ ۲۔ چونٛگُھر، کوینگ ۔

کوو گرٕژھن :۔ سردی بیٚترِ ستی کانٛہہ تان کاوُرن یا ہوٗل گرٕژھن ۔ چونگھر گرٕژھن ۔

کوو۲:۔[ن ۔ مؤل: کاو > س: کاکہ]۔ کرٛیٚہنہِ رَنگہٕ ۔ کاوٕ رَنگہٕ (تیٚژ ریٚترِ)۔ م: کوو کٕٹھ ۔

کوہ :۔ وِچھِو ''کوہ''

کو :۔[> س: کہ]۔ یہِ چھُ اَکھ برونٛہہ لوٗگ ۔ مانے

چھُس خراب، ناکارٕ وُلتہٕ ۔

کوٕ اَڈِج :۔[م ۔ مؤل: کواَڈج > س: کہ+ہَڈ]۔ ۱۔ خراب اَڈِج، تہٕ دٕیتھ گوتلہٕ بَد، کمپنہٕ ۔ ۲۔ (یہِ چھِ تَس مُتلق ونان) یُس سبٹھاہ چوب کھبتھ تہٕ ہٕہن رَٹہِ نہٕ ۔ یَس چوبن لایق بُتھ آسہِ ۔ یُس ہؤنی ہَڈ آسہِ ۔

کوباژن :۔[ن ۔ مؤل: کو بازن > س: کہ+بھاجنہ]۔ یَس بانہٕ آسہِ نہٕ ۔

کوبیز :۔[مؤل: کوبیز > س: کہ+بیٖچہ]۔ بَد بیٚول ۔ بدخٕمیر

کوبُتھ :۔ ۱۔ بَد شٕکل، بدصوٗرتھ ۔ ۲۔ بدلحاظ ۔ یُس اورٕ کھینہٕ ووتھِ، یَس کانٛسہٕ ہُنٛد پاس آسہِ نہٕ ۔

کوبکھ :۔ کال، دژاگ، ناکارٕ وَق، سختی ہُنٛد زمانہٕ ۔

کوبیالیٚگ :۔ ۱۔ (ورگہٕ) حرامک ۔ ۲۔ (ورگہٕ) ژٕریلہٕ ۔

کوبیٚول :۔[ن ۔ مؤل: کوبیال > س: کہ+بیجلہ/ بیجالیہ]۔ ۱۔ سہٕ کیچھ یا زَنٛڈ بیٚترِ یُس ژٕٹی ژٕٹی تہٕ مؤلہٕ کَڈی کَڈی بییہ تہٕ بییہ نِو ۔ ییٚتھ گاسہٕ بیٚترِ یُس نہٕ گاٹٕ گاٹٕ تہٕ گلہِ ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) بَد ذاژٕہُنٛد ۔ بدخصلتک ۔

کوبیٚژ :۔[م ۔ مؤل: کوبیٚژ > س: کہ+بھرٕتہٕ]۔ ۱۔ بدعادتھ ۔ بدفیل ۔ ۲۔ پانٛسہٕ کووَتہٕ لاگُن ۔

کوپتہٕ کرُن :۔ خجل کرُن ۔ کیٛنہہ وَنس نہٕ وارتھوُن ۔

کوپتہٕ گرٕژھن :۔ کُنہٕ کارس منٛز ہینہٕ ییتھ بُتھ دیٚن لایق نہٕ روزُن ۔ خجل گرٕژھن تہٕ کیٛنہہ نہٕ پھورُن ۔

کوپأتھر :-[مؤل: کوپأتھر <س: کہ پاتر]۔ بدذأتل، بدماشی۔ مکھر۔

کوپأٹھ :-ا۔ وُلٹہٕ پأٹھی، تتھٕ پأٹھی یتھٕ پأٹھی نہٕ سیٖوٚد سیٖوٚد موکلتھ ہیکہ زِ، کووَر۔ ۲۔ بےؤقرٕ گرتھ۔

کوپُے :-ناکارٕ اولاد۔ تمہ شُری یِم خراب آسن۔

کوپوٗت :-[ن۔م۔ مؤل: کوپوٗت <س: کہ پتر]۔ نافلکھ اولاد یُس مأل میراث راوِ راوِ۔ یُس مألِس ماجہِ ہُنٛد ناومنٛدٕ چھاوِ۔

کوٹپل :-سُہ یُس وُلٹہٕ پأٹھی پھساوِ، یُس تتھٕ پأٹھی پھساوِ یتھ موکلن پاے روزِ نہٕ۔

کوٹپہ :-[ن۔ مؤل: کوٹپ <س: کہ+ پڑاکرت: ٹھپا] (ورگہ) وُلٹہٕ پأٹھی۔ تتھٕ یتھ نہٕ کینٛہہ کرُن تگہِ۔ کووَر

کوٹپہ رَٹُن :-تتھٕ پأٹھی رَٹُن یتھ نہٕ بروٚنٛہہ ژلنس وار آسہِ۔ گنٛڈِ کُن نہٕ ژلنس وارتھاوُن۔

کوٹپہ لگُن :-وُلٹہٕ پأٹھی ہینہٕ یِن۔ تتھٕ پأٹھی پھسُن یتھ موکلن پاے یا ژلن پاے روزِ نہٕ۔

کوٹیپہ :-ل۔م: حرامٛک۔ تہٕ دٕپتھ گو بدذاتھ شُر، شرارتی شُر۔

کوچال:-[م۔مؤل< کہ+چل]۔ناکارٕچال۔غلط چال۔

کوچوٗنٹھ :-[ن۔مؤل: کوچانٹ]۔ا۔ یُس نالشائیستہٕ کتھ آسہِ کران۔ ۲۔ یُس پھیٚشل کتھ آسہِ ونان۔

کودیٖہہ :-[ن۔مؤل: کودیٖہہ <س: کہ+ دینہٕ]۔ جسم یُس خرأب یو بِرتھ چھُ۔

کودوہ :-[ن۔مؤل: کودوہ <س: اَکہ+ رَدس]۔ خراب دوہ۔ ناکارٕ وَق مُصیبتکی دوہ۔

کوڈول:-[ن۔مؤل: کوڈال <س: کہ+ ہ: ڈول]۔ بےٚ شوٗب۔ بدصوٗرتھ۔

کوذاتھ :-ؤسِی پایہٕ درُن۔ بدذاتھ۔

کوزَن :-کمینہٕ، کم ذاتھ، بدذاتھ۔

کوژَھل :-وُلٹہٕ ژھل، سُہ طریقہٕ یا ژھل یتھ ژلتھ ہیکہ زِنہٕ۔

کوژھلہٕ :-بےٚ شوٗنکی پأٹھی۔ وُلٹہٕ ژھلہٕ۔

کوسنٛگ :-ناکارٕ صوحبتھ۔ بدذاتھ لُکن ستی ووتھن بہن۔

کوشوٚگوٗن :-پھیٚشل۔

کوشوٗوَے :-بدنأمی۔ بزگأری۔

کوفیل :-[ن۔مؤل: کوفیل]۔ بدعمل کوپھیٚچہٕ۔ تژھ حرکژ یمہ جأیز آسن نہٕ۔

کوکتھ :-[<س: کُر+ کتھا]۔ا۔ ژوے، کأنسہٕ ہُنٛد اَدُر پَدرٕ، غأبتھ، ژوٗرٕ کتھ۔ ۲۔ بدخبر۔

کوکتھ نے تہٕ کٔنی کتھ کیا:-تہٕ دٕپتھ گو ژوٗرٕ ژوٗرٕ کتھ کرنکہ مطلب چھُ زِ کأنسہِ ہنز بأبتھ چھےٚ کرنہٕ یوان یا ژوے چھےٚ سپدان۔

کوکٹھ :-[<س: کہ+ کٹھ]۔ سُہ شُر یُس ناومنٛد چھاوِ۔

کوکرٕم :-[<س: کہ+ کرمہ]۔ا۔ یچھ کأم بدنام۔ ناکارٕ عمل۔ ۲۔ بدنصیبی۔

کوکرمی :- ناکاژ کامہٕ کرن وول ۔ گوناہ گار ۔

کوکل :- [< س: کہ+کل ] ۔ ۱۔ ناکاژ چیزن ہنز پژے ، ناکاژ کتھن ہُند خیال ۔۲۔ گنہٕ گن کوہنہٕ پأٹھی ہاوُن ۔

کوکالی :- بےٚ وقتہٕ ، بُرسٔمیہٕ ، خراب زمانس منز ۔

کوکالی ورٛشن :- ۱۔ بےٚ موقہٕ رۄد ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی ) تمہٕ پھرِ کینہہ بٔنن یا سپدُن ییلہٕ نہٕ تَمِچ ضۄرۄر تھےآسہٕ ۔

کوکور :- [ن ۔ مؤل : کوکار < س: کہ+ آ کار ] ۔ بےٚ شۄب ۔ بدشکل ۔

کوکول :- [< س: کہ+ کالہ ] ۔ بےٚ ۔ وقتک ، ناکاژ ساتک ، سُہ یُس خراب گژھِدس پیٹھ زامُت آسہٕ ۔

کوکیرن :- کوپھیٚچہٕ ۔ خراب اطوار ۔

کومن :- بدنیتھ ، ناکاژ خیال ۔

کوموکھ :- وچھو ''کوبُتھ'' ۔

کووَتہٕ لگُن :- ۱۔ تیأرِ پھٔسُن ییأرِ کٔڈرۄتھ آسہٕ ۔۲۔ ناکاژ گی گن لگُن ، بدکارن گن لگُن ۔

کووَتھ :- ۱۔ کٔڈرۄتھ ، کھرِ دار وَتھ ، ییمہٕ وَتہٕ پکُن مُشکل آسہٕ ۔۲۔ کوسنگ ۔ بدۄطیر ۔

کووٕر :- وُلٹہٕ پأٹھی ، کوژھلہٕ ۔

کووٕر لگُن :- وُلٹہٕ پأٹھی ہینہٕ یُن ۔ ییتھ پأٹھی پھٔسُن ییتھ موکلن پاے روزِنہٕ ۔

کووِز :- تمہٕ ویلہٕ ییلہٕ نہٕ پژ ۔ بےموقہٕ ۔

کووۄکھ :- پھیٚشل کتھ کرن وول ۔ پھیٚشل کتھ ۔

کوویلہٕ :- بےٚ موقہٕ ۔ بےوَق ۔ خراب وِز ۔ مُصیبتک زمانہٕ ۔

کوہأل :- [م ۔ مؤل : کوہال < س: کہ+ شپلہ ] ۔ پژنہٕ پیٹھی کنٛج چیکو یا مانٛد ۔

کوبہٕ :- کوٚب انسان ۔

کوبُر :- کوٚب لفظک ژھوٚٹر ۔ یُس کوٚب آسہٕ دژامُت ۔

کوبٔن :- ۱۔ کمبرس ڈوکھ اژِنی ، کمبر ہوٚل گژھن ۔ ڈوگُن ۔ ژھوگُن ۔

کوببر :- کمرِ چ ڈوکھ ۔ کوٚب آسنٛچ حالتھ ۔ ڈوکھ ۔

کوبڈ :- [ن ۔ مؤل : کوبڈ < س: کُبھر ] ۔ سُہ یُس لوکٹِس کوٚب دژامُت آسہٕ ۔

کوبزا :- [م ۔ مؤل : کوبزا < س: کُبجا ] ۔ ۱۔ اُکِس کوبہٕ زنانہٕ ہُند ناو یوسہٕ کرشنہٕ بکھتی اُس ۔ ۲۔ (ہزلہٕ پأٹھی ) کوٚب زنانہٕ ۔

کوتھ ۱ :- [م ۔ مؤل : کوتھ < س: کُتھ ] ۔ پٔنٛس بناونہٕ آمِژ آچھر یا لوٚکٹ ڈٔنٛج ۔

کوتھ کرٕنی :- ۱۔ پٔنٛس آچھر بناوٕنی ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی ) سیٚز کتھِ تیٚتھ مانے کرُن ییتھ پتہٕ نیاے ووتھِ ۔ سبزرس کھرٕ ائُن ۔

کوتھ ۲ :- [م ۔ مؤل : کوتھ < پژاکرت: کوتھلہ ] ۔ بوٚڈ دالہٕ ٹھیلہٕ یُس اناج بیتر اورِ یور سارٕنس لگان چھُ ۔ کٹہٕ بٔستہٕ ترٛوپ دِتھ بناونہٕ آمُت ٹھیلہٕ ۔

کوتھ :- [ن ۔ مؤل : کوتھ < س: کتھ ] ۔۱۔ بورا

گٔھر، گیڈ۔ ۲۔ بنگہٕ بیتر یوٚسہٕ ناو بیتر ڈرزٕ تہٕ شر وبند کرنس لگان چھےٚ۔

کوتھ دیُن :۔ بنگہِ بیترٕ ستیٚ ناوِ بیترٕ ہٕنٛز ڈرزٕ بند گرنہِ۔ ناوِ ہٕنٛز ڈرزٕ بند کرنہِ یتھ اَتھ منٛز آب کژ ڈِ نہٕ۔

کوتھِ کڈُن :۔ ا۔ ناوِ کوتھِ کڈتھ نیُن یتھ سو آب اَژنہٕ ستیٚ پھٹِہ یا گوبہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) تہٕ کرُن ییٚمہٕ ستیٚ دوٚیمس خطرٕ واتہٕ تہٕ خرأبی کرٕنی ییٚمہٕ ستیٚ دَدار واتہٕ۔

کوتھج :۔ [م۔ مؤل: کوتھج <دُچھو ''کوتھ''] ۔ بڈ دَجہِ گوڑ یوٚسہٕ ڈُتھ مُتھ اورٕ یور پکناونہٕ ییہٕ۔

کوتھج کرٕنی :۔ ا۔ کوم کرٕنی ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) سخ چوب دِنٕی۔

کھوتجہ پکُن :۔ کھکھرٕ پکُن۔

کوتھُر :۔ [ن۔ مؤل: کوتھر <دُچھو ''کوتھ''] ۔ ناوِ ہٕنٛز ڈرزٕ بند کرن دول۔ کوتھِ دِنہٕ دول۔

کوتھُل :۔ [ن۔ مؤل: کوتھل <دُچھو ''کوتھ''] ۔ پینٛڈل۔ گنہٕ چیزس بیترٕ ڈلتھ مُلتھ کرنہٕ آمُت پھٹُج۔ اؤسرٕ کھؤسرِ وٹنہٕ آمتیٚ پکو بیترٕ۔

کوٹمب :۔ [ن۔ مؤل: کوٹمب <س: کُٹمبہٕ] ۔ ا۔ گرٕ کر بأژ۔ پرٕوار۔ ۲۔ ساری اَشناوٕرشناو۔

کوٹمل :۔ [مؤل: کوٹمل <س: کُٹلہٕ] ۔ کھوٚٹ دوکھ باز۔ اَندرٕ ہمُل۔

کوٹمل تأیی :۔ بدنیتی۔ کھوچر۔

کوٹھ :۔ [م۔ مؤل: کوٹھ <س: کشٹھ] ۔ اکھ خاص قسمِچ بوٗٹِہ گنڈ ریوٚسہٕ دَوٕہن بیترٕ لگان چھےٚ۔

کوچہِ وور :۔ ا۔ نالکی پکو ییم تنگ آسن۔ سُہ پکو یتھ منٛز اِنسان چارنہٕ ییہٕ۔ ۲۔ تنگ جاے۔ سو جاے یتھ منٛز نُر زنگ واہراونس وتھ آسہِ نہٕ۔ ییتہٕ سخ ژٕہل گژھِہ۔

کوچھ :۔ [م۔ مؤل: کوچھ <س: کُکشہٕ] ۔ ا۔ کھون، لول۔ ۲۔ پیٚن اکہِ شُرٕ پتہٕ بیا کھ شُرزیٚنس تام منٛز وق۔ اَکھ شُر زینہٕ پتہٕ سُہ منٛزیم وق ییٚمہِ پتہٕ کأنسہِ زَنانہِ دوٚیم شُر زیوٚ۔ دون پرٕسنَن منٛز باگنگ وقفہٕ۔

کوچھِ بوچھِ روزٕنی :۔ (زَنانہِ) شُر نہٕ زیوٚن۔ پوٚترٕ بوچھ آسٕنی۔

کوچھِ پٹٔھک :۔ ا۔ سُہ یُس کھونہِ منٛز آسہِ، وَچھِ تلُک (شُر) ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) ٹوٹھ۔

کوچھِ پھیُر :۔ نچوٗس پتہٕ کور یا کورِ پتہٕ نیچوٗ زیوٚن۔

کوچھِ پھیُر گژھُن :۔ (کأنسہِ زَنانہِ) نچوٗس پتہٕ کوٗر یا کورِ پتہٕ نیچوٗ زیوٚن۔

کوچھ تُلُن :۔ ا۔ کھونہِ منٛز ہیوٚن۔ کوچھ ہیوٚن۔ ۲۔ کوم گرِتھ تُلُن، کومہٕ تُلُن۔

کوچھِ دیُار :۔ تِم پأنسہٕ ییم کوچھِ ہوٚوِنی سمَن۔ کھونہِ ٹلہٕ وِنی۔

کوچھِ روٗچھمُت :۔ یُس کھونہِ منٛز للہٕ نووٕمُت آسہِ۔

یُس اُچھن بروٗنٹھ کنہٕ پرٛتھیوٗمُت آسہِ۔

کوچھِ کوچھِ رَچھُن :-(شُر) بڑ مایہ تہٕ موٚحبتہٕ سان رَچھُن۔ شُر کھونہٕ کھونہٕ للہٕ ونُن۔

کوچھِ کبتھ :- کھونہٕ منٛز۔

کوچھِ للہٕ وُن :-ا۔ کھونہٕ منٛز تُلِتھ گوٗر گوٗر کرُن۔ کھونہٕ ہیتھ ہوہو کرُن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٹھی) ٹاٹھنیار کرُن۔

کوچھِ ہوٗنی :-تم دیار یم شُر بیتر گوڈ نکہٕ پھِرِ کوچھِ تُلِتھ تَس شوٗگٕنہٕ کنہٕ دِنہٕ ین۔

کوچھِ ہیوٚن:-ا۔ کھونہٕ منٛز رٹُن۔ کوچھِ تُلُن ۲۔ گوڈنچہ پھِرِ کانٛہہ شُر کھونہٕ منٛز تُلِتھ تَس پانٛسہٕ بیتر دِنک رَسم۔ ۳۔(ورگہٕ پاٹھی) منگِتھ رٹُن۔

کوچھِ دوٗرنی :-پرٛسنگ وقفہٕ زیٹھُن۔ پین دوٗرُن۔

کوچھَل :-ا۔ یَس کوچھ بڈ آسہِ۔ ۲۔ سو زنانہٕ یَس پین آسَن دران۔ ۳۔ یَس زنانہِ سیٹھاہ شُری زین۔

کوٚد :- کتھِ منٛز کڈُن کتھ۔ کج بحثی۔

کوٚدکاکی:- یُس کتھِ منٛز کتھ کڈِ۔ گکھری۔ کٔشدگر۔

کوٚد کانی کڈٕنی :- کتھِ منٛز کتھ کڈِتھ مطلبس پیٹھ واتناوُن۔

کوڈَر:-[ن۔ مؤل: کوڈَر > س: کودرٛو]۔ا۔ تر، کوٗٹ۔ ۲۔ دَچھِ پھلِس بیتر منٛز بیالی دانہٕ۔ ۳۔(ورگہٕ پاٹھی) کوکیرن آٮ۪نی۔ م: بڈ کوڈَر

کوڈَر آٮ۪نی :- پھیچہٕ آسنہٕ۔ کوکیرن آٮ۪نی۔ (سَخ) سپژول آسُن۔

کوڈَرباز :- کوڈری، پھیچُل۔ یُس کوڈر آسُن۔

کوڈَرووٕھنی :- کوفیل کرٕنچ زیر گرٕھنی۔ کوپھیچہٕ ووتھنہٕ۔

کوڈری :- پھیچُل۔ سپژُل۔

کورکھیتر :- [ن۔ مؤل: کورکھیتر > س: کُرٛکشیترٛ]۔ سو جاے ییتھن پانڈون تہٕ کوروَن مہابھارتُک جنگ سپُد۔

کورہٹ :-وُچھو ''کورہٹ''۔

کوژھ :-[ن۔ مؤل: کوژھ]۔ ٹھیلہٕ، جولنہٕ، گوٗت۔

کوژُل :-[ن۔ مؤ: کوژھل]۔ ٹھیلہٕ موٚزوٗر۔ سُہ یُس اَناج بیترٕ اور یور نکھس پیٹھ ساران آسہِ۔ حَمال۔

کوستَب :- [ن۔ مؤل: کوستب > س: کوستبھ ]۔ اکھ رٔتنُک ناو(یُس ہندوٗستانی دیو مالایہِ مُطابق کھیٖر ساگر مَندن وِزِتمہٕ اندرٕ کھوٚت۔

کوشُل :- [ن۔ مؤل: کوشُل > س: کُشلہ ]۔ رٕژر۔ خاٗر۔ وارِ کار آسُن۔

کوشَل پٔتر :-سو چِٹھی یوسہٕ کانٛسہٕ ہنٛز جان خوش خبرانہٕ۔ چِٹھی یتھ اَندر خوش خبری آسہِ۔

کوشَل ہم :- کھاندرٕ ووژھو پتہٕ اکھ خاص ہوَن یُس کھاندرٕ ٹھیکہ پاٹھی اَند واتنس پیٹھ شُکرانہٕ پٔٹھی کرنہٕ یوان چھُ۔

کوٗت (کھوٗت) موٗت :-(ترٛمنٛز) نٔرمرٕ توٗتھ بیٛنچ حالتھ۔ سو حالتھ یتھ منٛز پان ژومرٕ اوٚدی زٕ۔

کوٗٹ (کھوٚت) موٗٹ کرُن :- نَرِ مَرِ ژُوتھ ہُن ۔ پان ژٕومرأوِتھ ہُن ۔

کوٗکُر :- [ن ۔ مؤل: کوکر >س: کُک کُٹہ ] ۔ اَکھ گرگلی جاناواریُس مازِ ہیترِ باپتھ رَچھنہٕ چھُ یِوان ۔

کوکر بانگ :- ا ۔ سو آواز یوس کوکرأ ژہِند پَتی مہ پہرِ دِوان چھُ ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) گاش پھولنُک وَق ۔

کوکر بانگہِ :- سبٕھاہ سُلہٕ ۔ گاش پھولہٕ وُنی ، گرٕل وقتہٕ ۔

کوکر پۄت :- ا ۔ (نَر) کوکر بَچہٕ ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) رَشوٕ ۔ م: ناستہٕ مُشکا ۔

کوکُر پۄت ہیوٚ ہٕ رَٹُن :- سَخ اَڈز اَڈ کرٕنی ۔ ہوأری کرٕنی ۔ کیٚنہہ تہٕ نہٕ چَلنہٕ دیُن ، تیلہِ دَپان ییٚلہِ کانٛہہ جابرٕ کأنسہِ بے کس اِنسانس کوٚرٕ رٹہٕ ۔

کوکُر پۄژ :- سو کوٚکر یوسہٕ وُنہٕ ٹھوٗلَن آسہٕ نہٕ آمٕژ ۔

کوکر تیپر لگنہِ :- شِکس یُن ۔

کوکر تیپر لارنہِ :- شِکس یُن ، گزارنہٕ روزُن ۔

کوکر تیپر ہِنہِ :- شِکس یُن ، آلٕژی بُنٛن ۔

کوکر جنگ :- ا ۔ کوکرن ہنٛز دِگہٕ دِگ ، لڑأے ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) موموٗلی لڑأے یوسہٕ ژٕرِس کالس روزِنہٕ ۔ کتھ کتھِ ۔

کوکرز ولہٕ کرنہِ :- کأم کران کران مُنزی شونگ تژ اوٕنی ۔

کوکرزوٚ وٕ :- زوٚ وٕ یمہٕ کوکرن نوان چھےٚ ۔

کوکر ژاس :- اکھ لاگہِ دار ژاسہِ بمأری یوسہٕ یِژپأٹھی شُرٕ بَن لاران چھےٚ ، اَتھ اندر چھِ ژاسہٕ ٹوٗکھ متوأتر پأٹھی کھسان ییٚمہٕ کِنی بمارس اکثر نیل گژھان چھےٚ ۔

کوکر شتلی :- کوکرن ہنٛز اَکھ بمأری ییٚمہٕ سٟتی نِکلن کوکر پۄتن جِسمس پیٹھ نِکی نِکی پھپھر چھِ نیران ۔

کوکرو کوٗ :- کوکرٕ سنٛز بانگ دِرٛچ آواز ۔

کوکر کون :- کوکرن ہنٛز اکھ بمأری ییٚمہٕ سٟتی یمن ڈُوچھُ لگان ۔ کوکر مَنظِر ۔

کوکر ماز :- (ورگہٕ) سبٕھا میوٗٹھ تہٕ پۄٹھ ماز ۔ ضِیافتھ ۔

کوکر موٗنہٕ :- اَکھ وُسنی گاسہٕ ییٚتھ رَنگ برٛنگی پوش پھولان چھِ ۔ چاروایِن ہنٛدِ باپتھ چھُ یہِ زَہر ، تہٕ یِژپأٹھی یہِ وَنن منٛز آسان ۔

کوکرموٚر :- ا ۔ سُہ کھوٚت ییٚتھ منٛز راتس کوکر تھَونہٕ چھِ یِوان ۔ ۲ ۔ (ہزلہٕ) لوکُٹ اوٚک پورمکانہٕ ۔ پہٕر ۔

کوٚکٕر :- [م ۔ مؤل: کوکر >س: کُک کُٹا ] ۔ ا ۔ کوکرٕ سنٛز مادٕ یوسہٕ ٹھوٗلو باپتھ رَچھنہٕ چھےٚ یِوان ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) یُس نہٕ کُنہِ شبٲہٕژ ہُنٛد آسہِ ۔ ۳ ۔ (ورگہٕ پأٹھی) سُہ انسان یُس اوٚری ژٕمیوٗمت آسہِ ۔ (بتھ دیُن لایق نہٕ روزنہٕ کِنی) م: کوٚکرگژھنی ۔

کوٚکر ژھان تہٕ پۄتی ہیٚچھان :- تہٕ دٕپتھ گوٚیہِ زِٹھی بُڈی چھِ کران تی کرُن چھِ شُری تہٕ ہیٚچھان ۔

کوٚکٕر کرِ ہے مان مگر پۄتھن کیا کرِ :- تہٕ دٕپتھ

گوجنجال ناٗلی گرٕھنہٕ کَنی چھُ بروٗنہہ پکنس روٗٹ گرٕھان۔

کوٕ کر کرٕنی:۔(ورگہٕ پاٗٹھی) کتھ نہٕ کرنہٕ دِنی۔ ژوٗمراوُن

کوٕ کر گرٕھنی:۔کینٛہہ نہٕ وٕنتھ ہیکُن، کینٛہہ نہٕ پھورُن۔ وقتہٕ وِزِ ژھوپہٕ گرٕھنی۔ ژَمُن۔

کوکرس ژاٗنگج ناٗلی گرٕھنی:۔تژھ کاٗم اَگادِ گرٕھنی یتھ پۆشتھ ہیکی نہٕ۔یوسہٕ پننہٕ بتِرٕ نبر آسہِ۔

کوکرس (چھے) گُنی زَنگ:۔تہِ دٕپتھ گو، پننہِ ہَنہِ نہِ ڈٔلُن۔اَکرِ ہے کتھِ پتہٕ لَگُن۔

کوکرٕن ہیٚبہِ اَژُن:۔نابکارن نشہِ اتھِ روٗٹ ژھانڈُن۔

کوگنڈٕ:۔[ن۔مؤل: کوگنڈٕ]۔

کول ۱:۔[ن۔مؤل: کول < س: کُلَہ]۔قبیلہٕ نَسل، ذاتھ، کروٗن۔

کولہٕ پۆتھُر:۔جان ذاٗژہُند شُر۔جان قُبیلُک لَڑکہٕ۔

کولہٕ تارُکھ:۔کولَس تارَن وول، کھارَن وول۔ یُس قُبیلُک ناو نیچھِ ناوِ۔یُس پننِس خاندانس نۆن کڈِتہٕ ناو پرٛاوِ، رَتھِ کھارِ۔

کولہٕ دِپھ:۔خاندانُک ژونگ۔یُس خاندانُک ناو پرٛزلاوِ۔

کولہٕ رہتھ:۔گرُک رَسم۔خاندانس یا قُبیلس منٛز چَلہٕ وُن رَسم۔

کولہٕ کۄر:۔بَڈ گرِچ کۄر۔جان ذاٗژہنز کۄر۔

کولہٕ گھبے:۔کولہٕ ناش۔سورُے خاندان یا قُبیلہٕ ختم گرٕھن۔خاندانُک ناو نشانہٕ نہٕ روزُن۔

کولہٕ گاتُکھ:۔۱۔یُس خاندانس گالہِ۔۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) یُس ساٗری ہے قُبیلس مَنٛزٕ چھاوِ۔یُس خاندانُک ناو ڈباوِ۔

کولہٕ مار:۔[ن۔مؤل: کولہٕ مار < س: کُلہ +ف: مار] دَپان یہِ چھُ اَکھ سَرپھ قِسم۔ یَس ژٕ ٹوپہٕ یتی ٹوپھ لگن وولُے یوت نہٕ بلکہِ تسُند سورُے خاندان تہٕ مَرِ۔

کولہِ مولہٕ روٚس:۔وٕسی پایہِ ذاٗژہُند کمینہٕ، کم ذاتھ۔

کولہٕ ناش:۔وِچھو "کولہٕ گھبے"۔

کولہٕ ناشُکھ:۔یُس خاندانس دُبہٕ ڈاٗس کرِ۔یُس کولس ناش کرِ، یُس ساٗری ہے قُبیلس بدنام کرِ۔یُس زِٹھِبن ہُند ناو کولہِ ژھنہٕ۔

کولہٕ وۆتُر:۔پیٚر ووتُر، کولاوٗلی، شجرہٕ نسب۔

کول اُڈِج:۔جان بُنِ یاد، جان نسل۔رُت کرٕوُن۔

کول مؤل:۔ذاتھ بُتراتھ۔

کول ۲:۔[م۔مؤل: کول < س: کُلیا]۔لوکُٹ دٔرِ یاو، جوے۔آرٕ، نہر۔

کولہِ ژھنُن:۔تباہ کرُن، وٲران کرُن۔گُنہِ وَتہِ نہٕ لاگُن۔

کولہِ کرُن:۔راوِ راوُن، تباہ کرُن، ضایہِ کرُن۔

کولہِ کھوتہٕ کول سَرٕ د:۔تہِ دٕپتھ گو دوٚیم چھُنہٕ گوڈنکی ہِندِ کھوتہٕ جان آسان، گوڈنکس پتہٕ

یِنہٕ وول شخص چھُنہٕ پرأنۍ دأدِ کاسان۔

کولہِ گرٕڈھن :- گُنہٕ وَتہٕ نہٕ لگُن ، راوُن ، ضایہٕ گرٕڈھن، رَتھ نہٕ کھسُن۔

کولہِ ووٚٹھ ژٕھنٕنۍ :- ۱۔ پان مارُن، خودکشی کرٕنۍ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) سَخ جلکھُن، پان خطرس منٛز ترٛاوُن۔

کولہِ اوٚنٛج :- اوٚنجہٕ ہُنٛد اکھ قٕسم یتھ ڈٕتھر واریاہ زٕ ٹھۍ چھِ آسان۔ اوٚنجہٕ ہُنٛد یہِ قٕسم چھُنہٕ کھنبس لگان۔

کولہٕ بٕزۍ :- ۱۔ ستہٕ یہِ کولہِ منٛز گومُت آسہٕ ، یہِ کولہٕ ڈٕہتھ آسہِ نیٚومُت ۔۲۔ یُس کولہِ پھوٚٹمُت آسہِ۔

کولہِ بٕزۍ کرُن :- کولہِ منٛز دأرِتھ دیُن۔ کولہِ منٛز پھاٹُن۔

کولہِ بٕزۍ گرٕڈھن :- کولہِ منٛز پھٹُن، کولہِ ہِنٛدِ ذٕرِ یہِ ییٚہ وَسُن ۔ ضایہٕ گرٕڈھن۔

کولہٕ پتھر :- ۱۔ سُہ علاقہٕ یتھ کولن ہُنٛد گُتجار آسہِ۔ یتھ علاقس پرٕتھ طرفہٕ کولہٕ پکان آسَن ۔۲۔ وأدی

کولہٕ تار :- ۱۔ سوجایہِ یتیٚن نالس بیتر ترٕنس وَتھ آسہِ ۔ یتھ جایہِ کولہِ ووٚٹھ وور آسہِ۔ ۲۔ سو موٚزٕ رٕ یوسہٕ ہأنٛزِس تار دِنہٕ باپتھ دِوان چھِ۔ ۳۔ تم پأنٛسہٕ یم گوٚبرٕ مول زٕ اَنیٚانہٕ کہرن گوڈٕنچہ کولہِ ڈٕولۍ تارَن وِزِ شوٚ گونہٕ کنہٕ دِوان چھِ۔

کولہٕ ٹوٚنٛچ :- زٕہٹھ توٚنتھ کرٕتھ نچہٕ تیر بوٚ اکھ جاناوار یُس کولہٕ بٹھن پیٹھ گرُن تہٕ کیٚمۍ کھنہٕ باپتھ نژان چھُ آسان۔

کولہٕ ٹیٚوٚٹٕٹ :- اکھ ڈُون جاناوار۔

کولہِ دٕژکھ :- اکھ کیٚوم یُس دٕرکہٕ ہِنٛدۍ پأٹھۍ زیٹھان چھُ تہٕ کولن منٛز چھُ کنبن لأرِتھ آسان۔

کولہٕ راد :- کولہِ أنٛدۍ پکھۍ زمین۔ کولہٕ بٹھن نکھہٕ سوٚتُر علاقہٕ یتھ سبزار آسہِ۔

کولہِ غوطہٕ :- ۱۔ ووٚتل بُجہٕ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) تسلی گرٕڈھن لایق بناوَتھ، خاص خاص کرٕتھ کأنٛسہٕ ٹلٕکٕ ہِنٛدۍ کنۍ۔

کولہِ غوطہٕ کھینٕنۍ :- (ورگہٕ) تَسلا گرٕڈھنۍ ، دِلس ہوٚندرٕ لگُن ۔ کأنٛسہِ ہِنٛز کانٛہہ آش نہٕ روزٕنۍ۔

کولہٕ غوطہٕ لگٕنۍ :- وُچھو "کولہِ غوطہٕ کھینٕنۍ"۔

کولہِ کِتر :- کولہِ منٛزٕچ کِتر یوسہٕ پھیپھرن بیترِ گہتھ چھِ لاگان۔

کولہٕ کاو :- کاوِ چالہِ اکھ پچھن یُس سَرَن تہٕ ڈٕمبن نکھہٕ نظر چھُ گژھان۔

کولہِ کوٚلُر :- کوٚلرٕ ذاژ ہُنٛد نچہٕ پکھہٕ کرٕتھ جاناوار۔

کولہِ گنٛڈ :- سوجایہِ یتیٚن کول کھسان آسہِ۔ کولہِ ہُنٛد دَہانہٕ یا آگُر۔

کولہِ نأوِد :- گٹہِ کاژرٕ رنٛگہٕ آبس منٛز روزَن وول اکھ کیٚوم۔

کولہِ وال :- تم لۆکھ یم کولہِ ستۍ یانکھہٕ بَسان آسَن ، تم زمیٖندار یہنٛدِ زمیٖنس کولہِ کنۍ سَگ واتان آسہِ۔

لۆکھ بےقرار گژھُن ۔ چھنگ ۔ بانبر ۔ پریشانی ۔ افراتفری ۔۳۔ خلل ۔ دیان ڈالنٕچ حالتھ ۔ مَن ڈَنجہٕ نہٕ روزُن ۔

کھلئبلۍ ٹلُنۍ :- خوفہٕ ستۍ بانبراوُن ۔ چھنگ ژانۍ ۔ افراتفری ٹلُنۍ ۔

کھلئبلۍ گژھنۍ :- ۱۔ افراتفری گژھنۍ ۔ لارائژنۍ ۔ خوفہٕ بیترٕ کِنۍ چھنگ لگٕنۍ ۔

کھلئبلۍ وۄتھنۍ :- وُچھو "کھلئبلۍ گژھنۍ" ۔

کھل کھِش :- [ن ۔ مؤل: کھل کھِش < س: اَکھلہٕ + کھش ] ۔۱۔ یُژہ پٲٹھۍ قتل ۔ یسلہٕ پٲٹھۍ کلہٕ ژٹنۍ ۔ قتلِ عام ۔۲۔ مارنہٕ آمتس تیٚری سُند مازٕ بَستہٕ بیترٕ ۔

کھل کھِش کرُن :- یُژہ پٲٹھۍ مارِتھ ترٛاوُنۍ ۔ ہۆت وُچھنے کھش کرُن ۔

کھل کھِش لگُن :- وۄبا وۄتھُن ۔ پۆتس پتھ مرُن ۔

کھم :- [< آوازِ پیٹھ ] ۔ پھرٕ کھ ۔ شانٔش کھرٕ نو ۔

کھمَل :- [< وُچھو ۔ کھَم ] ۔ یُس کھمان آسہِ ۔ یَس پھرٕ کھ آسہِ کھسان ، پھرٕ کہ لَد ۔ زوسہٕ لَد ۔

کھمُن :- [ن ۔ مؤل: کھَم ] ۔ پھرٕ گُن شانٔش کھسنۍ ۔ ( گرمہٕ بیترٕ کِنۍ ) زبو پھٹِتھ نیرٕنۍ ۔

کھمہِ ہے گرِتھ کھمان گُنہٕ :- تہٕ ڈۄتھ گۄیَس بارودِنۍ پزٕ ہن تمۍ سُند ژھوپہٕ گرِتھ روزُن تہٕ یُس سو کھس آسہِ تیٚندی بارودِنۍ ۔

کھمبرٕ ۱ :- [م ۔ مؤل: کھمبر < س: کھرپرَ ] ۔ انا جکس ڈیرس تژتھ کھرٕ پھروزِنۍ یتھ اَتھ آو سنگ ظٲہر روزِ ۔ انا جکس ڈیرس کینہہ اَناج ٹلنہٕ ستۍ گۆمُت روب ہیۆہ ۔

کھمبرٕ ۲ :- [م ۔ مول: کھمبر < س: کھرپرَ ] ۔۱۔ نوکدار کنہٕ کھۄنڈ ۔ کنہٕ وُژھمٕ پٹر ۔ سو کنہٕ کھۄنڈ یتھ تیٚوٚت آسہِ ۔۲۔ ٹلہٕ کیٚتری چھَل ۔ لِگتھ گاٚمٕژ شینہٕ تُج ۔

کھمبرٕ کھۄنڈ :- کُنہٕ وُژھمٕ پٹر ۔

کھمبر گژھنۍ :- ۱۔ سخ دَرُن ۔ شِٹھتھ پیۆن ۔ ۲۔ کُنہٕ کھبنہٕ چیزُک بیترٕ بأنکلن ۔

کھمبرٕ لگٕنۍ :- سخ شُہہ لگُن ۔ شُہ تُجہٕ گرٛھنہٕ ۔ دتہٕ گرٛھنہٕ ۔

کھمبرٕ وۄسنۍ :- کھمبرٕ ستۍ زخم لگُن ۔ کُنہٕ بیترٕ یا چھل سَننہٕ یالاینہٕ پینہٕ کِنۍ چھو کہ لَد گۄھُن ۔

کھمبر وائٕنۍ :- تیٚتۍ دارکِنۍ پیٹھ لگاوُنۍ ۔ نوکدار کنہٕ ستۍ حملہ کرِتھ چھو کہ لَد کرُن ۔

کھمبرٕ پینہٕ :- کنن ہندی پٲٹھۍ رۄد پیۆن ۔ رۄدٕ جُری وۄسنۍ ۔

کھمبر وۄسنہٕ :- وُچھو "کھمبرٕ پینہٕ" ۔

کھَن :- [ن ۔ مؤل: کھَن < س: کھنہَ ] ۔۱۔ (سوتھہِ بیترٕ ینک ) ژھبن ۔۲۔ بُڈ پانچ ۔۳۔ کھوڑ ۔ دوب ۔ گۆل ( کولہٕ بیترٕ ہُنٛد ) ۔۴۔ دون بالٕن منزٕس اَپارٕ یپور ترٛنچ وَتھ ۔ سۆن نار ۔۵۔ پھَل اَمبرس کینہہ پھَل ٹلنہٕ ستۍ گۆمُت روب ۔ ۶۔ وَژھر ۔ منزٕس یلہٕ جاے ۔

کھل ٹَلنۍ :-١۔ مُسلہٕ ٹلُن ۔٢۔ سخ ظُلم کرُن ۔ کاُم
کرِ کرِ عارَق پھاٹہٕ وُن۔ تیز کاُم کرناوُن
یُتھ مُسلہٕ وَسہٕ۔

کھل وَسنۍ :-١۔ مُسلہٕ وَسُن ۔٢۔ (ورگہٕ پاُٹھی) زُو
ژھٕٹُن ۔٣۔ (ورگہٕ پاُٹھی) بےٚ یزتی گژھنۍ،
اُڈر اُڈپیٚنۍ۔ یُتھ دیُن لایق نہٕ روزُن۔

کھل والنۍ :-١۔ مُسلہٕ والُن ،بَستہٕ والنۍ ۔ (خاص
گرِتھ زِندے ) ۔٢۔ (ورگہٕ پاُٹھی) سخ اُڈ
زاُڈ کرِنۍ ۔ سخ شلکھ کرُن۔

کھل ڈر :- اَکھ سیُن یُس ژھاوِلہِ بَستہٕ رُنتھ
بناوان چھ۔

کھل٣:-[مُچھ بیترِ کھلنچ کاُم ۔٢۔ مچھِ وامُن۔

کھلَن :-[م۔مؤل: کھلَن < س: کھلتہٕ]۔ چونچہٕ۔
بیترِ ستیٚ دژوِ دار چیزس (سنس بیترِ) ووکھر
دین ۔اورٕ یور ہلاوُن۔

کھلَن دِنۍ :- کھولُو کرُن۔ بانس مَنز چیزس بیترِ
چونچہٕ ستیٚ ووکھر کرُن۔ چونچہٕ بیترِ ستیٚ بانس بیترِ
مَنز چیز ہلاوُن۔

کھلَن کرِنۍ :-١۔ وُچھو "کھلَن دِنۍ" ۔٢۔ مَنز چھل
کڈِنۍ ۔٣۔ (ورگہٕ) بۄڈ دخل دیُن ۔٤۔ پھرُن۔
ژور اَڈُن۔ پَر گنز کرِنۍ ۔٥۔ دۄنُٹھ دِنۍ۔
٦۔ پٹھوُلی کرِنۍ۔

کھلَن کرِنہٕ گژھُن:- پٹھوُلی کرِنہٕ گژھُن۔

کھلَن گرِتھ ژلُن:- پھُرِتھ یا دۄنُٹھ دِتھ ٹِھ کڈِنۍ۔

کھلہٕ :- [ < س: اَکھلہٕ ]۔١۔ پکہٕ وَٹہٕ ۔سوُرے
سۄمبرِتھ گلُھم پاُٹھی تھوک ۔٢۔ اَوسطُن ۔ م:
کھلہٕ پھُلی تمن دٕہ دٕہ ژوُنٹھی۔

کھلہٕ کرُن :- (چھتی کرِہنۍ زارنہٕ ورأے) پکہٕ
وٹہٕ سارِی ہے مول کرُن۔ ٹھیکہٕ کرُن۔ امانۍ
پاُٹھی کانہہ چیز ہیوٚن یا کیُن۔

کھلہٕ کھنجہٕ :- سوُرے پکہٕ وَٹہٕ۔ وِچھنہٕ کرِنہٕ
ورأے سوُرے۔

کھلر :-[م۔مؤل: کھلر < س: کھلّہ]۔١۔بَستہٕ کھنڈ۔
نالگہٕ ہار بستہٕ ۔٢۔ سہٕ چیز بیترِ یُس نہٕ گنہٕ لگہٕ۔
نالگہٕ ہار چیز ۔ م: ہُنی کھلر۔

کھلر گژھنۍ :- دالہٕ کھنڈ گژھنۍ۔ (ورگہٕ پاُٹھی) کُنہٕ
لایق نہٕ روزُن۔ ہچہٕ نیرنہٕ ۔٢۔ ہوکھُن ،ژمٹُن۔

کھلرِ کڈنہٕ :- زَچہٕ کڈنہٕ ۔ ریٚنچہٕ کڈنہٕ۔

کھلرِ نیرنہٕ :- زَچہٕ نیرنہٕ ۔ ریٚنچہٕ نیرنہٕ ہچہٕ نیرنہٕ۔

کھلر :-[ن۔مؤل: کھلَر < س: کھلو۔م۔ہ: کھرل]۔
نادِ چالہٕ نِیائی یوسہٕ مَسالہٕ بیترِ دگنس لگان چھےٚ۔

کھلُن١ :-[ن۔مؤل: کھَل < وُچھو : کھولُن]۔ کھُلہٕ
گژھن۔ ڈیوٚل گژھن۔ یَلہٕ گژھن۔

کھلُن٢ :- مچھ وامنہٕ۔ مچھِ ژلراونہٕ۔

کھلبلی :-[م۔مؤل: کھلبلی < م۔ہ: کھلبلی ]۔١۔ چیزن
گڑبڑ ۔٢۔ ووژراٹھ ۔ کینہہ پیٚتھ کتھ یمہٕ ستیٚ

لۆکھ بے قرار گژھن ۔ چھگ ۔ باگبر ۔ پریشأنی ۔ افراتفری ۔۳۔ خلل ۔ دیان ڈانٛج حالتھ ۔ مَن ڈٲنٛجہِ نہٕ روزُن ۔

کھلبٕلی ژٕلنۍ :- خوفہٕ سٟتؠ باگبراوُن ۔ چھگ ژانٛنۍ ۔ افراتفری ژٕلنۍ ۔

کھلبٕلی گژھنۍ :- ۱۔ افراتفری گژھنۍ ۔ لار اَژنۍ ۔ خوفہٕ بیترٕ کنۍ چھگ لگنۍ ۔

کھلبٕلی وۄتھنۍ :- وُچھو "کھلبٕلی گژھنۍ" ۔

کھل کِھش :- [ن ۔ مؤل: کھل کھِش < س: اَکھلہَ + کھش ] ۔۱۔ یُژہ پأٹھۍ قتل ۔ یسلہٕ پأٹھۍ کلہٕ ژٕٹنۍ ۔ قتلِ عام ۔۲۔ مارنہٕ آمتٮ۪س تیرِ سُند مازتہٕ بستہٕ بیترٕ ۔

کھل کِھش کرُن :- یُژ پأٹھۍ مأرِتھ ترٛاوٕنۍ ۔ ہۆت وُچھنے کھش کرُن ۔

کھل کِھش لگُن :- ووبا وۄتھن ۔ پوٚتس پتہٕ مرُن ۔

کھم :- [< آوازِ پیٹھ ] ۔ پھرٕ کھ ۔ شانٛش کھرٛنۍ ۔

کھمَل :- [< وُچھو ۔ کھم ] ۔ یُس کھمان آسہِ ۔ یُس پھرٕ کھ آسہِ کھسان، پھرٕ کہٕ لد ۔ زوسہٕ لد ۔

کھمُن :- [ن ۔ مؤل: کھم ] ۔ پھرٕ کن شانٛش کھسنۍ ۔ ( گرمہٕ بیترٕ کنۍ ) زبو پھٹتھ نیرٕنۍ ۔

کھمہٕ ہے گرتہٕ کھمان گٕنہٕ :- تہٕ ژٕ پتھ گوٚیُس بارودِنۍ پژہن تہٕ سُند ژھوپہ گرتھ روزُن تہٕ یُس سو کھمس آسہِ تسندی بارودٕنۍ ۔

کھمبر ۱ :- [م ۔ مؤل: کھمبر < س: کھر پرَ ] ۔ انا جکس ڈیرس ترٛشہ کھرٛ پھروزٕنی یتھ اتھ آوٕ سنٛگ نظر روزِ ۔ اَنا جکس ڈیرس کینٛہہ اَناج ژٕلنہٕ سٟتؠ گوٚمت روٗب ہیوٗہ ۔

کھمبر ۲ :- [م ۔ مول: کھمبر < س: کھرپَر ] ۔۱۔ نوکدار کنہٕ کھٔنڈ ۔ کنہٕ وُژھمرٕ پٹر ۔ سو کنہٕ کھٔنڈ یتھ تیوٗنت آسہِ ۔۲۔ ژٕلہٕ کترٕ چھل لگتھ گامرٕ شپنہٕ ژُج ۔

کھمبرِ کھٔنڈ :- کنہٕ وُژھمرٕ پٹر ۔

کھمبر گژھنۍ :- ۱۔ سخ درُن ۔ شژتھ پیوٚن ۔ ۲۔ کنہٕ کھبنہٕ چیزُک بیترٕ ہأنکلن ۔

کھمبر لگنۍ :- سخ شہہ لگُن ۔ شہوٚجہ گرنھنہٕ ۔ دتہٕ گوٚھنہٕ ۔

کھمبر وَسنۍ :- کھمبرٕ سٟتؠ زخم لگُن ۔ کنہٕ بیترٕ یا چھل سَنہٕ یا لاینہٕ پنہٕ کنۍ چھو کہٕ لد گوٚھن ۔

کھمبر وانٛلنۍ :- تیٚنتی دار کنۍ پیٹھ لگاوٕنۍ ۔ نوکدار کنہٕ سٟتؠ حملہٕ کرِتھ چھو کہٕ لد کرُن ۔

کھمبرِ پینہٕ :- کننن ہندی پأٹھۍ رۆد پیوٚن ۔ رۆدٕ جُری وَسنۍ ۔

کھمبرِ وَسنہٕ :- وُچھو "کھمبرِ پینہٕ" ۔

کھٔن :- [ن ۔ مؤل: کھٔن < س: کھنہَ ] ۔۱۔ (سوتھِ بیترٕ ٹیک) ژھبن ۔۲۔ بڑ پاژ ۔۳۔ کھوڑ ۔ دوب ۔ گوٗل ( کولہِ بیترٕ ہُند ) ۔۴۔ دون بالَن منٛزس اَپارِ یپور ترٛنٛج وَتھ ۔ سوٚن نار ۔۵۔ پھل اَمبرس کینٛہہ پھل ژٕلنہٕ سٟتؠ گوٚمت روٗب ۔ ۶۔ وَژھر ۔ منٛزس یلہٕ جاے ۔

کھنہٕ بلہٕ پٹھٕ کھادَن یار :- ا۔ کھنہٕ بل پٹھٕ کھادَن یار تام سورُے علاقہٕ۔ کٔشیر اَنٛدٕ وَنٛدٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ) اکہِ بدلہٕ بیا کھ۔

کھَنہٕ روچھ :- سوٗتھی روچھ۔

کھَن تڑاوُن :- ا۔ داں زٔمیٖنَس نیٖنٛدِ برونٛہہ پاچ کھُلراٖوِتھ پوٗنی کڈُن ۲۔ (کھنگ بَر) بیلہٕ تڑاوُن۔

کھَن دیُن :- ا۔ ژھبن دیُن ۲۔ ڈری یاوَس پوٗنی، ہمراونہٕ باپتھ کٔنہِ جایہٕ بوٗٹھ یا سوتھ ژٔٹن یتھ پوٗنی بیٚیِس طرفس کُن گوژھِ ۳۔ داں زٔمیٖنَس نیٖنٛدِ دِنہٕ برونٛہہ پوٗنی کڈُن ۴۔ پاچ کھٕج کٔرِتھ اُبی زٔمیٖنہٕ منٛزٕ پوٗنی کڈِتھ ژُٹن۔

کھَن ژھٕٹُن :- ژھبن کٔرِتھ دیُن۔ پھاس تڑاوُن۔

کھَن کڈُن :- کھَن دیُن۔ کولہٕ ڈٔنٛدِس بیترِ ژھبن دیُن یتھ اَپاری پوٗنی سبر نیرِ۔ ڈری یاوَکس سوٗتھس بیترِ ژھبن دیُن۔

کھَن گژھنی :- کھبتھ چَتھ راٗسی گژھُن۔ کھیٚے کھیٚے بوچھ لٔگنی۔ کھبتھ تہٕ بوچھ لٔگنی۔ کھبنس کُن ہاوُن (یہ چھُ خاص کٔرِتھ کٔنہِ بچہٕ بماریہ تہٕ اوٗژھ آسنہٕ کِنی گوھان)۔

کھَن گوٗژھن :- کولہِ بیترِ ڈٔنٛدِس دیٚشمت گنڈ پیٖر گوٗژھن۔ کولہِ گنڈ پیٖرتھ گوٗژھن۔

کھَن گنڈُن :- کھَن بنٛد کرُن۔

کھَن پیٖرتھ گژھن :- گوٗنڈمُت کھُلن یلہٕ گژھن۔ پانہٕ کہِ ڈکہٕ سٟتؠ کھنگ گنڈ پیٖر گژھن تہٕ پوٗنی اوٗر یوٗر گژھن۔

کھنہٕ ناوُن :- ا۔ زٔمیٖن لونہٕ بیترِ سٟتؠ تلناوُن۔ زٔمیٖن پڑاٹہٕ ناوُن ۲۔ کنہٕ بیترِ پٹھ کانٛہہ عبارَتھ یا شٔکل بیترِ کوٗرِتھ کڈُنی۔ کھٔنِتھ لیکھہٕ ناوُن۔

کھٔنُن :- [ن۔ مؤل: کھَن < س: کھنَنہ]۔ ا۔ پراٹُن۔ وُپراوُن ۲۔ کوٗرِتھ لیکھُن۔ عبارَتھ بیترِ کوٗرِتھ لیکھنی۔

کھٔنِتھ کڈُن :- ژھل کٔرِتھ کانٛسہِ نِشہِ راز مولوٗم کرُن۔ کانٛہہ یتھ یتھ اصل کتھ وَنہٕ ناوُن۔ اَندرِم کتھ کڈُنی۔

کھنجر :- [ن۔ مؤل: کھنجر < س: کھنڈ]۔ پھچر۔ پھٕٹمُت آسُنٛج حالتھ۔

کھنڈٕ ا :- [ن۔ مؤل: کھنڈ < کھنڈ]۔ ا۔ مُدریر۔ ۲۔ میٔژھ ۳۔ (ورگہٕ پاٗٹھی) رُت۔ جان۔

کھنڈٕ بوٗس اُسَس تڑاوُن :- کٔنہِ کتھِ پٹھ خوش گژھتھ آفرین کرُن۔

کھنڈٕ بماٗری :- ضیابیطس۔ اکھ بماٗری یتھ منٛزٕ متھرس سٟتؠ زوٗر مدٗریر نیبر چھُ نیران۔ شوٗگر بماٗری۔

کھنڈٕ گازِر :- اَکہِ قسمٕچ مٹھاٗے یوسہٕ اوٹ تہٕ کھنڈ رَلاوِتھ تیار چھےٚ کرنہٕ یوان۔

کھنڈٕ گُر :- اُڈرِتھ مُدریرس بنومُت گُر۔ اکہِ قسمٕچ مٹھاٗے۔

کھنڈٕ موہنیو :- موٗڈر اِنسان۔ سہٕ اِنسان یُس ورتاوٕ

کِنۍ سبٹھاہ جان آسُن۔ جان سو باوُک اِنسان۔

کھنڈ ہاءکر:- سرٚوُگ تہٕ موٗلُل چیز۔

کھنڈ ہیوٗ ہ:- ا۔ سبٹھاہ مزٕدار۔ سبٹھاہ میوٗٹھ۔ ۲۔ رُت اِنسان۔ جان سو باوُک مُنٛش۔ خوش یوُن۔

کھنڈ۲:- [ن۔ موٗل: کھنڈ <س: کھنڈ]۔ ا۔ حِصہٕ باگے۔ چھل ۲۔ علاقہٕ۔

کھنڈ۳:- پھاسوتھ گاڈ یوسہٕ دِہ دِتھ ہوکھناونہٕ آسہِ آمٕژ۔

کھنڈ ہوگاڈ:- اَکہِ قسمچ ہو کھنا وِتھ ہوگاڈ۔ سفید ہوگاڈ۔ ہو کھناوِتھ چھتر۔

کھنڈ کرُن:- گاڈ پھاسہٕ وِتھ تہٕ دِہ دِتھ ہو کھناوُن۔

کھنڈر:- [ن۔ موٗل: کھنڈر <س: کھنڈ + رَ]۔ ا۔ کُنہِ پرٛانہِ تأمیرٕ کہٕ آوٕ سیمتۍ پھٹہٕ متۍ یا پتھ کُن موژےمتۍ آثار۔ ۲۔ وٲران جاے۔ وُجارٕ۔

کھنڈرٕ گژھنۍ:- وُجارٕ گژھن۔ وٲران گژھن۔

کھنڈ بٕرۍ:- تھدِ کاڑ اَکھ دٕسۍ پوشہِ گُل یتھ لیدٕ رَنگہٕ پوش چھِ پھولان۔

کھنڈ واو:- [ن۔ موٗل: کھنڈ واو <م: تیلگو: کھنڈ وا] ا۔ پشمینہٕ ووُر۔ ۲۔ انٲژی۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھی) مُفلِس۔ ۴۔ دوستہٕ کار (کھنڈ واوَن ہُنٛد)۔

کھنڈ واوتأیلیم:- قالینہٕ ووَن وِزِ دوستہٕ کارٕ سُنٛد ژاٹہٕ باجن اَکہِ خاص طرٕیقہٕ مُختلف رنگن ہنٛدی پَن لاگنک ہِدایتھ دِیٚن۔ قالین بافن ہنٛزِ زبانۍ منٛز قالینہٕ دونان ژاٹہٕ باجَن وَنٛن زِ اَکہِ

رَنٛگہٕ پتہٕ کمہِ رِنٛگُک بیاکھ پَن چھُ تمن استیمال کرُن۔ ۲۔ گرٕگرِ ہیچھناونہٕ یُن۔ ۳۔ اَنٛکہٕ وِنۍ ہیوٗ چھمُت (کار)۔

کھنڈ واوتُج:- پشمینہٕ ووِرِ ہنٛز کأنٛژ۔ سو ہون یوسہٕ کھنڈ واو استیمال کران چھُ۔

کھنڈ واوژول:- غریب تہٕ پیوٗمُت پشمینہٕ ووُر۔

کھنڈ واوکوج:- ا۔ کھنڈ واوِ سُنٛد کوج کھنٛگ وَق (یہِ چھُ ہنا ژٕپرۍ آسان) ۲۔ (ورگہٕ) سُہ کوٗج یُس ژٕپرۍ ییہِ دِنہٕ۔

کھنڈ واوہوٗر:- ا۔ کھنڈ واوِ سُنٛد کیسب۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) اَنٛکہٕ وِنۍ ہیوٗ چھمُت کانٛہہ سُہ کار یُس سارِنے تگِہ نہٕ۔

کھنڈ واوٕل:- ا۔ کھنڈ واوِ سُنٛد پیشہٕ۔ پشمینہٕ ووِرِ سُنٛد کار۔ ۲۔ انٲژی گی۔ ۳۔ پأنسو خأطرٕ اَمیہ ناوُن۔

کھنڈ بتھ:- [م۔ موٗل: کھنڈ بت <س: کھنڈ تا]۔ ا۔ پھُٹُج بجر۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بدقسمتۍ۔ بدنصیبی۔

کھنڈرات:- پرٛانہِ تأمیرٕ کہٕ پتھ کُن روُدی متۍ نشانہٕ۔

کھنگر:- [<م: ہ: کھنگر]۔ ا۔ دگہٕ وِتھ۔ ژوٗرتاولکنہٕ متۍ ہَج گاہٕ سپر۔ ۳۔ نوکدار کنۍ۔ کھمہٕ کھنڈ۔

کھنگرِ:- [ن۔ موٗل: کھنگر]۔ سِدٕ، دولہٕ۔ کھجرٕ نہٕ موچرٕ پاسہٕ۔ پأوِتھ نہٕ۔

کھو:- [ن۔ موٗل: کھو <س: کھاتہٕ کہٕ]۔ سنبر، دوب، خاص کٔرتھ سُہ لوکٕٹ دوب یتھ منٛز مچہٕ گوگجہٕ بترٕ

میٚوٚ وُرِ تھِہ تھوان چھہٕ۔

کھوتہٕ کھاندرِ ہیٚوٚ ے آسٕن :- یہِ چھہٕ تَس مُتلق وَنان یُس کانٛسہِ ہٕندِس سوکھَس دوکھَس ستۍ کانٛہہ تولُق آسہِ نہٕ، بلکہ آسہِ کانٛسہِ ہٕندِ مرنہٕ یا زینہٕ وِزِ تہٕ پٔنُن فایِدٕ ژھانڈان۔

کھوکرٕنۍ :-۱۔ دوبس ژھٹُن ۲۔ سَنٛز راوُن۔ سوٚن کرُن ۳۔ وُڈرُن۔ مارِتھ میژِتَل دَباوُن۔

کھوکھٕنۍ :-۱۔ (گوگجہ بیترِ تھونہٕ باپتھ) دوب دیُن، کھوڈ کھنُن ۲۔ پٔتۍ پٔتۍ کانٛسہ کیٛت زٕنٛس تیار کرُن۔ مُ: گنگ کھٕنۍ۔ قبر کھٕنۍ۔

کھوگژھنۍ :- مرُن، مرِتھ گژھُن، جانہٕ مرگ گژھُن۔

کھوٗتراوُن :- کانٛہہ چیز بیترِ میٚوٚ وُرِتھ کھوڈس منز تھاوُن، میژِتَل ژھٹُن۔ دوبس ژھٹُن۔

کھوٗگوگج :- سو گوگج یوسہٕ کھوٗ منز تھونہٕ آسہِ آمُت یا کڈنہٕ آسہِ۔

کھٕیٛ ا :- [م۔ مؤل: کھٕیٛ >س: کشَیَہ، م، ہ: کھٕیٛ]۔ ا۔ زنگار، مَل ہُنہٕ، مَل تاہ ہیٚوٚ یُس کُنہِ دانٛس بیترِ پیٹھ سمیوٗمُت آسہِ۔ دوٗر ۲۔ دَندَن ہیوٚتھمُت مَل۔

کھٕیِ دار :- یتھ زنگار کھوتمُت آسہِ۔ یتھ دوٗر آسہِ لوٚگمُت۔

کھٕیِ کھیوٗمُت :-ا۔ کھٕیٛ پینہٕ کِنۍ یتھ دَند آمتۍ آسن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) سُہ شخص یُس ہر یومُت آسہِ۔ یُس کانٛہہ توژھ رٕنہٕ آسہِ نہٕ۔

کھٕیِ لد :- یتھ کھٕیٛ لٔجمُت آسہِ۔

کھٕیٛ پینٛز :- زنگار کھسُن۔

کھٕیٛ تراوٕنۍ :- (ورگہٕ) تاز گژھُن۔ یاوُن ییُن۔ کمزوٗری بیترِ ژٔلنۍ۔ شکل نیرٕنۍ۔

کھٕیٛ تُلنۍ :- صفایی کرٕنۍ۔ زنگار ژٔلراوُن۔ صاف کرُن۔

کھٕیٛ ژٔلنۍ :-ا۔ صاف گژھُن۔ مَل بیترِ نہٕ روزُن۔ نَیہ نَیہ کرُن ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) شوٗب ہیٚنۍ۔

کھٕیٛ کاسٕنۍ :- ا۔ زنگار ژٔلراوُن۔ مَل تُلُن۔ ۲۔ دِ ے دوٗر کرٕنۍ۔ مَن شوٗد راوُن۔

کھٕیٛ لگنۍ :- وُچھو" کھٕیٛ پینٛز"۔

کھٕیٛ ۲ :- [م۔ مؤل: کھٕیٛ >س: کھاتہ]۔ ا۔ دون زمینہٕ پٔکِن درمیان سَنبر ۲۔ (قلس بیترِ اَندۍ اَندۍ کھوٗنمُت) خنٛدق۔

کھٕیِ ژھٹُن :- بلایہ بُتھِ دیُن۔ گال کھاتس تراوُن۔ مُصیبتس منز پھساوُن۔

کھٕیِ گژھُن :- تباہ گژھُن۔ بوٚر باد گژھُن۔ (کُنہِ بلایہِ منز) ترتھ پاٹھۍ ہینہٕ ییُن یتھ موکلَن پاے روزِنہٕ۔

کھٕیٛ کھٕنۍ :- (ورگہٕ) گنگ کھٕنۍ۔ کانٛسہِ اِذادِنٛس پتے روزُن۔ کانٛسہِ بد کانٛچھُن۔

کھٕیٛ گژھنۍ :- زمین وِستھ یا ڈُلہٕ گژھنہٕ کِنۍ خنٛدق ہیٚوٚ گژھُن، زمینگ وِستھ یا ڈُلہٕ گژھُن، دوب بَنُن، سنبر لگُن۔

کھاپر :- [م۔ مؤل: کھاپر >پڑاکرت: کھپ پر >س:

کھرپَر ]۔ کلُک اَڈٕ جہ کونڈٕل۔

کھاپرٕ بَن پھمب دوٗنٛن :۔ ا۔ سخ ظلم یا مار گنڈ کرُن۔ پھیٹھنٕی کرٕنی۔ ۲۔ بخشش ہیترٕ منٛز نہٕ کانٛسہِ کیتھ کرنہٕ دِنٕی۔ بخشش منٛز ساری ہارناوٕنی۔

کھاپرٕ بَن پھمب لدُن :۔ (ورگہٕ) نہیپہ کرُن۔

کھاپرٕ :۔ [ن۔ مؤل: کھاپر]۔ سُہ کپُر یتھ گنڈ گنڈ آسہِ نہٕ۔ توٗن پُر چالہِ کپُر۔ خاصہٕ۔

کھاتہٕ :۔ [ن۔ مؤل: کھات < ؟س: لیکھا + پتر]۔ ا۔ سو کتاب یتھ منٛز تفصیلہٕ سان حِساب درج آسہِ۔ ۲۔ اکھ اَسامہِ ہُنٛد اُکہہ جایہِ وار یاہ زمین یا موٗکلی ہیترٕ۔

کھاتَس تارُن :۔ حِسابَس مُجرا دِنُن۔ ہِی۔ پیٹھ والُن۔

کھاد :۔ [م۔ مؤل: کھاد < س: کھادَ]۔ قودرتی یا مصنوٗیی طریقو تیار کرنہٕ آمٕژ، پاہ یوسہٕ زمینَس تراوان چھہٕ۔

کھاد بوٗچھ :۔ سُہ زمین یتھ بوجُر کم آسہِ، ٹاٹھ زمین یتھ بوجر برابر آسہِ نہٕ۔

کھادِ دوب :۔ پاٹھ دوب۔ سُہ خاص قسمُک دوب یُس گاسہٕ تہٕ پاہ ہیترٕ سُڑ راونہٕ باپتھ کھننہٕ یا بناونہٕ ییہِ۔

کھادِ گٹہٕ :۔ لوکُٹ کھادِ بُہری۔ کھادِ بُہری یوسہٕ پنژاہ کلو وزنہٕ آسہِ۔

کھادِ لَد :۔ سُہ زمین یتھ کھاد تراونہٕ آسہِ آمٕژ۔

کھادِ دوٗنی :۔ سُہ آب یُس اَبی زمینَس کیمیاٰیی پاہ تراونہٕ وِزِ منٛز آسہِ تہٕ پتہٕ ییہِ اَوُرِ شُرٕ وپراونہٕ۔

کھادترٛ اوٕنی :۔ زمینَس بوجر کرنہٕ خاطرٕ گرٕ پاہ یا کیمیاٰیی پاہ تراوٕنی۔

کھاد وِوٕنی / چھکنی :۔ زمینَس بوجر کرنہٕ خاطرٕ کیمیاٰیی پاہ چھکِتھ تراوٕنی۔

کھادِ ہِنی :۔ ا۔ کھاد براہ ہِنی۔ زمینَس کیمیاٰیی پاہ وِہنی۔ ۲۔ کیمیاٰیی پاہ تراونہٕ ستی پاداوار ہُرُن۔

کھارٕ :۔ [ن۔ مؤل: کھاد]۔ بوٗڈکوٗٹ۔ اکھ قسمُک جنٛگلی کُل یتھ دار نیران چھہٕ۔ سو لکر یتھ شہتیر ہیترٕ نیرَن۔

کھادِ کوٗٹ :۔ گیل۔ بوٗڈموٗنڈ۔

کھارا :۔ [ن۔ مؤل: کھار < دیدک س: کرم مار]۔ اَکھ کارٕی گرٕ یُس شُستر س ہیترٕ مختلف سامانہٕ کران چھُ۔

کھارِ بستہٕ :۔ سو بستہٕ ییمہٕ ستی کھار نارس واو چھُ دِوان۔ دَمن بَستہٕ۔

کھارِ بایہِ :۔ کھارِ سنٛز زنانہٕ۔

کھارٕ بُٹھ :۔ ا۔ سو ہیرٕ یوسہٕ کھارَن گجہ دہ یوانٛدو کھارٕ منٛز چھیٚ آسان۔ ۲۔ کھارٕ وانٛک چوٗلہٕ۔

کھارِ ژٕنہِ :۔ ییٚنگر ییمہٕ وُہناوِتھ کھار شیٖشتر کاران یا تاوان چھُ۔ وتچھ ژٕنہِ ییمہٕ کھار گجہ منٛز وُہہ ناوان چھُ۔

کھارِ گجہ :۔ کھارِ سنٛد ژٕنہِ وُہناونٛک چوٗلہٕ۔

کھارٕ میٖژ :۔ شیٖشترٕ ژٕن یُس کھارٕ وانس منٛز پیومت

چھُ آسان۔

کھاڑنے :- سُہ بانہٕ یتھ منز کاڑتھ شیشہٕ تڑاونہٕ چھُ یوان۔

کھاڑ وُٹھ:-سوبڈُ کنۍ یتھ کھاڑ پرنہٕ ہنز کام ہوان چھُ۔

کھاڑ وٕے :- نقد یا جنسہٕ رٔنگو مۆزوٗرۍ۔ یوسہٕ زمیندار ٹونگر بیترِ کرنہٕ باپتھ کھارس دِوان چھُ۔

کھاڑ وان :- کھاڑ سُند کار خانہٕ۔ سو جاے یتیٚن کھار سامانہٕ بیترِ گران تہٕ شیران چھُ۔

کھاڑ ہال:-سُہ بانہٕ یتھ منز کھار شیشہٕ تڑ کاران چھُ۔

کھاڑ[2] :- [م۔مول: کھار<س: کھاری]۔ اٚزۍ کہِ حسابہٕ شیتھ کلوہی۔ شُراہ ترکھ۔

کھاڑ بور:- اَکھ کھار۔ کھار یوتاہ۔ تیٚوت یوٚت اکھ ورِ نکھس تُلتھ ہیکہِ زِ۔

کھار مَٹہِ کھسُنۍ:- ذِمہٕ دارۍ پیٚنۍ۔ تتھ ذِمہٕ دارۍ پیٚنۍ یوسہٕ نباونۍ مُشکِل آسہِ۔

کھار مَٹہِ ہینۍ:- ذِمہٕ دارۍ رَٹنۍ۔ کانٛہہ مُشکِل کام لنٛد واتناونۍ ذِمہٕ ہیوٚن۔

کھاٲر بۆ د :- سبٹھاہ۔ وارِیاہ۔ یتھ وَزن سپدتھ ہیکہِ تہٕ۔ بسیار۔

کھارٕے:- کانٛہہ چیز بیترِ کُنہِ پٹھ کھارنچ یا لدنچ عمل۔ کانٛہہ چیز بیترِ نکھۍ تکنچ تہٕ کُنہِ جایہِ واتناونچ عمل۔

کھاڑ:-[مۆل: کھار<س: کشارا]۔ ژوش۔ ژوہ۔ کرسان۔

کھاڑ ووٚنۍ:-ژوش پونۍ۔ سُہ پونۍ یتھ نونہٕ مَز آسہِ۔

کھاڑٹ :-[م۔ مۆل: کھارٹ]۔ لوٚکٹ گرٕ، ماڑ گُر۔

کھاڑن :-[مۆل: کھار<س: کھڑگہ]۔ ا۔ ہیوٚرکُن تلُن تھزرس پٹھ واتناوُن۔ ۲۔ پیٹھ ہیوٚن، تھاوُن یالدُن۔ ۳۔ ترقی کرناوُن۔ مشہور کرُن۔ ۴۔ سوٲرۍ کرناوُن۔ مِ: گُرِس کھارُن۔ ۵۔ مَٹہِ مرُن۔ نکھس لدُن۔ مِ: راہ کھارُن۔ شَرط کھارُن۔ ۶۔ اندر لُمتھ ہیوٚر واتناوُن۔ مِ: شاہ کھارُن۔ ۷۔ زیٹھراوُن۔ (جگرِ بیترِ)۔ ۸۔ اُبڑٕے مَٹہِ کھارُن۔ مِ: دوہ کھارُن۔ ۹۔ (زیوٚ پیٹھ) ہیوٚن (ناو بیترِ) مِ: زیوٚ کھارُن۔ ۱۰۔ چارُن۔ لیہِ اندر اَنُن۔ مِ: پأتھر کھارُن۔ ۱۱۔ پیٹھ کُن سوٚمبرُن۔ مِ: ڈیر کھارُن۔ کونٛد کھاڑنۍ۔ ۱۲۔ کانٛہہ تیٚتھ چیز بناوُن یُس ہیوٚرکُن ژُنین آسہِ۔ مِ: لب کھاڑنۍ۔ ۱۳۔ بناوُن یا چارُن بیترِ۔ مِ: بوم کھارُن۔ دڑٕہ کھاڑنۍ۔

کھاڑ وَنۍ :-سومۆزوٗرۍ۔ یوسہٕ کانٛہہ چیز کُنہِ پیٹھ کھارنہٕ موکھہٕ یا تھزرس واتناونہٕ باپتھ دِنہٕ ییہِ۔

کھاڑیٚک :-[ن۔ مۆل: کھاریک]۔ بچھیر۔ لوٚکٹ گر یُس وِنہٕ خطہِ کڈنے آسہِ۔

کھاڑنے :-ہیوٚرکھارنچ کام۔ تھوٚدکھارنچ کام۔

کھاڑنے وٲلنۍ:- (زٲرۍ کتھ) زیٹھن وِزِ داو تھُزراوُن تہٕ ہارن وِزِ کم کرُن۔

کھاہِسرا:-[م۔مۆل: کھاہِسر]۔ ناوِ منز آب کڈنہٕ باپتھ

اکہِ قسمُک ہٕچوٗ بانہٕ۔

کھاہرٕ۲:-[م۔مؤل: کھاہر]۔مُنٛزٕ گاڈِہیوٗر کلُک پٔتِم حصہٕ۔

کھاہر وائٕنۍ :-۱۔ کلہٕ دَگُن۔ ووڈٕ ووڈٕ دِنۍ۔

۲۔(ورگہِ پأٹھۍ)وُقر وائٕنۍ۔

کھاش :- [ن۔مؤل: کھاش <ع: قاش]۔ کٔنیٖک قاش۔ کترأو مُت کھُنٛڈ۔ م: لأر کھاش۔

کھاش کرٕنۍ :-کترأوِتھ لوکچہِ لوکچہِ کھِنٛجہِ کرنہٕ۔ کتراوُن۔

کھاگر :-ہَسہ پَچھ گُرِتھ تارِچ کأم۔

کھاگرۍ پولاو :-تہِ دٕ پتھ گوسبز باغ ہاوِنۍ۔ نٔونہٕ گُرۍ (ہاوِنۍ)۔

کھاگر :- [ن۔مؤل: کھاگر]۔ اکھ بوٗٹۍ یوسہٕ یِژ پأٹھۍ وَنَن منٛز بووان چھےٚ۔

کھالُن :-[ن۔مؤل: کھال <س: کھڈ گہ]۔۱۔ہیوٗر واتناوُن۔ ۲۔ (ہاژہ ہیتھ) لأرِتھ تھوٚنۍ۔ ژوپرِتھ ۔۳۔ پٔتھ لڑُن ۔۴۔ مَتہِ تھوُن۔ وِچھِو کھارُن تہٕ۔

کھان :-[م۔مؤل: کھان <س: کھنہٕ]۔ کان ۔سو جاے یتھِن کانہِ داتھ بیترِ نیران آسہٕ۔

کھانٹھ :-[ن۔مؤل: کھانٹ]۔۱۔ڈوٗنیُک اَڈ، دُپھلہٕ۔ یَتھ ژٕ آسَن گانٹھ۔ ۲۔ پھراٹہٕ ۔ پوٗنہٕ۔ ۳۔ٹکرٕ،چھل۔

کھانٹ پھٕٹٕنۍ :-(ژٕمبس تاوِ پنہٕ کنۍ) ترٕڑِ گژھنہٕ۔ پوٗنہٕ گژھنہٕ۔پھڑاٹہٕ گژھنہٕ۔

کھانٹ کرٕنۍ :-موٗ بیترِ کپٕٹُن۔پھٕلہٕ کرنہٕ۔

کھانٹ گژھٕنۍ :-وِچھِو "کھانٹ پھٕٹٕنۍ"۔

کھانٛچہِ کڈُن :-کٔیٚپر وہِبر الگ کڈٕنۍ مشینہٕ سٕتۍ دانٕبس داں کال دیُن۔

کھانٛچہِ کڈٕنہٕ :-سَخ چوب دِنۍ۔ کھِچہِ کڈٕنہٕ۔

کھاندر :-[ن۔مؤل: کھاندر <س: گندرو]۔۱۔کارِخأر۔ شأدۍ یانہٕ۔ نیٚتھر۔۲۔ بوٗ ڈ دوہ (نوٹ: کھاندر چھُ آسان گرِس تہٕ نیٚتھر کأنسہِ زَنہٕ یازٕنس)۔

کھاندر بوگ :-تم پأنسہٕ بیترِ یم کورِ ہنٛدۍ مالنۍ کھاندرٕ رکِس موقس پٔتھ تُنٛد وأرِ وسوزان چھِ۔

کھاندر سال :-سُہ سال یُس کھاندرٕ رکِس موقس پٔتھ کرنہٕ یِیہٕ۔ کھاندرٕچ داوَتھ۔

کھاندر کرُن :- نیٚتھر کرن۔ شأدۍ یانہٕ کرُن۔ نیٚتھرُک، میکھلہِ ہُنٛد بوٗ ڈ دوہ مَناوُن۔

کھاندر کھُنٛدر :-کھاندر تہٕ بوٗ ڈ دوہ بیترِ۔

کھاندر روۄژھو :-کارِخأر۔بوٗ ڈ دوہ۔گرِس منٛز شأدۍ یانہٕ۔

کھاندرِ کھاندر :-سٕبٕٹھہِن گرن اَکی ہے موقس پٔتھ کھاندر۔ پرٕتھ طرفہٕ کھاندرن ہنٛز وسہٕ دزٕ وسہٕ۔

کھاندرٕ وول :-یٔژمن یُس کھاندرس بُتھِ آسہٕ۔ کھاندر کرن والہٕ گرُک زٕیٹھ۔

کھانگھر :- [ن۔مؤل: کھانگھر <س: کنکالہ]۔ ۱۔ گاگر، ہپلہِ ڈیرِس منٛز باچ یٔلہٕ جاے۔ ۲۔ سُہ کوہ یَتھ کھمبر بو ورأے ہٕنہٕ کینٛہہ آسہٕ تہٕ۔

٣۔ جسمچ سوٗ اُڑِج یتھ ماز ہیتر پیٹھ آسہِ نہٕ۔ تٔی
درٕامٕژ اُڑِج۔ ماز روٗس اُڑی جی یأژ۔

کھانگھر نیرٕنی :- چھٔنتھ پیوٚن۔ کرٕنژے یوت
پتھ کُن موژن۔ اُڑی جہِ نہٕ نیرنہٕ۔

کھاو :- [مۆل: کھاو < س: کھادَ کہ]۔ یڈٕل۔ یُس
کھێنہٕ تہٕ کھێنہٕ کرِ۔ یڈٕ بوڈٕ۔ ٢۔ سُہ کیوٚم ہیترٕ یُس
نوقصان کرِ۔ م: وونڈٕ کھاو، والہٕ کھاو۔

کھاوٕل :- [< چھو۔ کھاو] ۱۔ بوٚچھ۔ یڈٕل۔ ٢۔ رٕنس
یا شُربن پیٹھ گوٚب (زنانہٕ)۔

کھاہ ۱:- [ن۔ مۆل: کھاہ < س: کھاتہ]۔ ۱۔ آباد زٔمین۔
٢۔ داں زٔمین۔ اُبی زٔمین۔ سُہ زٔمین یتھ دانہٕ
وو پداونہٕ آسہِ یوان۔

کھہہٕ بیر :- ڈٕوٗرِچ حد بٔندی۔ سو بیر یوسہٕ داں
زٔمینہٕ کِنہِ ڈٕوٗربن اَندری اَندری دِوان چھِ تہٕ
یتھ کانٔی گاسہٕ بوان چھُ۔

کھہہٕ پٔٹ :- بَد کڈِتھ زٔمینہٕ چھل۔ اَکِس
سنزِس منزٕ یا اَکِس لرِس منزٕ داں زٔمین۔

کھہہٕ ڈٕوٗر :- اُبی زٔمینک ڈٕوٗر یتھ دانہٕ بوان آسہِ۔

کھہہٕ گگُر :- گگرن ہُند اکھ قسم یُس دانس ژکان
چھُ۔ انہٕ مُر۔

کھہہٕ مِلہٕ وَن :- (ورگہٕ) کہے دٕوٗربر۔ نکھہٕ نکھہٕ۔

کھہہٕ وونی :- ۱۔ سُہ پوٚنی یُس داں ڈٕوٗربن منزٕ آسہِ۔
٢۔ (ورگہٕ پأٹھی) سو کھ دٕشن آب۔

کھاہ نیرٕن :- زٔمینس پیٹھ کام کرنہٕ گژھن۔
زٔمین شیرنہٕ گژھن۔

کھٔہی وتھ :- سوپڈی وتھ یوسہٕ کھہہٕ منزٕ آسہِ۔

کھاہ ٢:- [مۆل: کھاہ < س: کھَش]۔ کھاش زأژ
ہُند۔ کھوٚکھ

کھٔترٕی :- [ن۔ مۆل: کھٔترٕی < س: کشترٕیہ]۔
نیرٕ نیم باپأرٕی، کریانہٕ کِنَن وول ہیوٚند (نوٹ)
کھٔترٕی چھِنہٕ کھیتری زأژ ہِندِس راجپوٗتس ونان۔

کھٔٹ :- [م۔ مۆل: کھچ < مُ۔ ہ: کھپٹا]۔ سُہ ماژ
چاروو ے یُس لوٚٹ پھٔٹمُت یا ژوٚٹمُت آسہِ۔

کھٔٹِتھ :- ۱۔ ژوٗرِ۔ نظرن تل نہٕ، دبأوِتھ۔ ٢۔ اَکِس
کُن، یتھ کُن نہٕ نظر پیہِ۔ لوٚب کُن۔

کھٔٹِتھ اَستھ رٔٹِتھ کڈٕن :- تہِ دٕیتھ گوٚولوٚب
اَستھ تہِ کانٛہہ مارکس منزٕ اُنُن۔ کُنہِ ماملس منز
(خامخاہ) گیر کرُن۔

کھٔٹِتھ بہُن :- ژوٗرِ بہُن، ژھیپھ دِنی۔ پان نہٕ دیُن۔

کھٔٹِتھ پأٹھی / پأٹھن :- کانٛسہِ ہاونہٕ یا خبر کرنہٕ ورأے۔

کھٔٹِتھ تھوٗن :- ژوٗرِ بہُن، دبأوِتھ تھوٗن۔

کھٔٹِتھ روزُن :- ژھیپھ دِنی۔ پان نہٕ اَتھِ دیُن۔
ژوٗرِ بہُن۔

کھٔٹِتھ مٔٹِتھ :- ژوٗرِ موٗرِ، تٔیتھ یور کانٛہہ واتہِ نہٕ۔

کھٔٹی ۱:- زیٹھن۔ زی۔ نفع کماوُن۔ دُہچ ؤٹِتھ۔

کھٔٹی ٢:- [م۔ مۆل۔ کھٔٹی < پرٛاکرت: کھٹا < س: کھٹوا]

گانس منٛز ڈکھ جٕن پیٹھ بناونہٕ آمٕژ سو جاے۔
یتھ پیٹھ رأچھ شونگہٕ۔

کھٔڈ کھٔڈ :-ژۄرِژۄرِ۔ أنٛدرٕ أنٛدرٕ، کأنٛسہِ خبر کرنہٕ ورأے
کھٔڈ کھٔڈ تھوٗن :-۱۔ کانٛہہ چیز نہٕ ہاوُن، ژۄرِ تھوٗن۔۲۔ کُنہِ رَنگہٕ کانٛہہ کتھ نہٕ وَنٕنۍ۔ کتھ یا راز بیترِ دبأوِتھ تھوٗن۔

کھٔٹ گُر :-[ن۔مؤل: کھٔٹ <س: کھٹہٕ + گور]۔ ۱۔ اکھ داں قسم یتھ ووزُل دانہِ چھُ نیران تہٕ کیٛسر چھُس زٕ ہٹھ آسان۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) ہَباہٕرکۍ زَنانہٕ۔ آوار زَنانہٕ۔

کھٕج :-[م۔مؤل: کھج <س: کھلی]۔ سولوٕکھر یوسہٕ تِلہٕ پھلَس تیٛل کڈِتھ پتھ کُن روزان چھےٚ۔
کھٕج پھَل لگُن :-مَد لگُن۔ ألی ألی کھسُن۔
کھٕج پھَل لاگُن :- چاروأیس پلالہٕ کرنہٕ موکھہ تَس کھج پھَل کھیوٚن دیُن۔ جان پلالہٕ کرُن۔
کھٕج پھَل وۄر :-پأرِمَس منٛز کھج پھلَس بنیومُت آرٕ ہیوٚ ہیُس منٛزٕ خأٖلی چھُ آسان۔
کھٕج لوٕکھر :-کھج پھَل دۄرِچ چھَل۔ بوٚڈ کھج پھوٚل۔
کھجراوُن۔ کھٔلراوُن :- کھوٚل کرُن۔

کھٔدرا:-[م۔مؤل: کھدر]۔ سُہ دودیُس گأوپژ سنہٕ پتے وَسہِ۔ موٚٹ دودیُس سَدٕ پیاوَل گأو ہیوان چھہِ۔
کھٔدر موٚنٛڈ۔ پھُہہ

کھٔدر۲:-[م۔مؤل: کھدر]۔ اَتھو وۄنمُت کپُر۔

کھٔدرِ پوٗش:-سُہ یَس کھٔدرِ ہٕنٛدی پلوٗ نأٖلی آسَن۔
کھٔدرِ بنٛڈار :- کھٔدرٕ گُدام۔ سُہ وان یتھ پیٹھ کھٔدر رکنہٕ آسہِ یوان۔

کھٕر۱:-[م۔مؤل: کھر]۔ نَفرَتھ۔ دِے۔
کھٕر إٓسنۍ :-نفرتھ إٓسنۍ۔ دِے إٓسنۍ۔
کھٕر کرِنۍ :-نفرَتھ کُرِتھ دِنۍ۔ دِے کُرِتھ دِنۍ۔
کھٕر گژھنۍ :-نفرتھ گژھنۍ۔ دِے گژھنۍ۔ کھرُن۔
کھٕر۲:-[م۔مؤل: کھر <س: کھلواٹہٕ]۱۔ گرمی ژگُل۔ تِم پھیپھر یم کأنٛسہِ کلَس نیرن۔ وِچھو ''کھوٚر'' تہٕ۔۲۔ داغ دۄزی بیترِ۔ چمکھ یا رَنگ بیترِ منٛز ووتھمُت آسُن۔ موٚس یا بیٛہ کُنہِ چیزَس پےٚ مژ چھٹھ ہش۔ کُنہِ چیزَس لچمژ مچھ ہش۔

کھٕرِ جہَل :-سخ شرارَتھ، سخ ژٕکھ (تیٚمبرٕ یَس تلہٕ کُنہٕ کانٛہہ شوٗب آسہِ نہٕ)۔
کھٕرِ ژَگُل :-۱۔ کھٕرِ موٚنٛڈ۔۲۔ کھٕرِ ستۍ والَو نِشہِ خأٖلی گأمژ جاے۔۳۔ پھیپھرِ بیترٕ ٹیٚک آکھ۔
کھٕرِ گَشُن یُن :-۱۔ تیٚتھ فیٛل کرُن یُتھ پَتہٕ وَلنہٕ ییہِ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) اصل کتھ بوٗزِتھ ترُووتھُن۔ پزربوٗزِتھ ژھرٕ ٹھ دِنۍ۔
کھٕرِ کَلہٕ :-۱۔ سُہ یَس کلَس کھٕر آسہِ۔۲۔ گرمی بیترٕ ستۍ برٕتھ کلہٕ۔
کھٕرِ کھچھ :-بٔڈ ژھوکھ۔ نختہٕ پھچ ژٕکھ۔ خاص کُرِتھ تیٚمبرٕ یَس تلہٕ کُنہِ شُباہتھ آسہِ نہٕ۔

کھرِ کھیوٚمُت :-ا۔رُے گوٚمُت،دوورِیومُت ۔
۲۔گُنہِ لایق نہٕ رٕودمُت۔۳۔ذٔلیل گوٚمُت۔
خار گوٚمُت۔

کھٔر پیٚنٛز :-(موس بیترِ) بمارِ ستی داغ لگنٕی۔موس
چھٕٹھ ہش نیرِنۍ۔

کھٔر دٕ گنٕی :-ا۔سخ مار دیُن۔اَبسی اَبسی دِنۍ۔
چوبہٕ ہٹھکار کرُن۔۲۔ذٔلیل کرُن۔

کھٔر زٕ لٕنٛز :-ا۔موٚمُلی تٔچھنا کرُن۔دبل بیترِ نہٕ
وارِ پأٹھی ٹلُن۔۲۔زٕمین نہٕ وارِ پأٹھی کھنُن۔
زٕمین ووگُن وایُن۔۳۔(ورگہٕ پأٹھی)
ٹُرٹلُن۔اِشتیال دیُن۔

کھٔر والنٕی :-وَدِناوُن۔اَڈزاڈ کرِنۍ۔بیری پیری والنٕی۔

کھٔر ووٕتھنٕی :-ا۔کلَس کھٔر نیٚرنۍ۔کھٔر پھأٹنٕی۔
۲۔شٔکل بگرِنۍ۔کھوٗسُر ہیٚوٕہ ووتھُن۔۳۔بےٚ
شوٗب گوٚژھُن۔ ۴۔گُنہِ لایق نہٕ روزُن۔

کھٔر ۳ :-[م۔موٗل: کھر < س: کھری]۔کھٔرِنۍ۔خٔرٕ
ہنٛز ماد۔وُچھِو "خٔر" تہٕ۔

کھٔر ۴ :-ا۔سوزنانہٕ یَس کلَس کھٔشر آسہِ دزٕمُت ۔
۲۔رذیلہٕ زنانہٕ۔

کھٔر ۵ :-ا۔وأرُی۔مِ: کھٔرِ پھیٚر۔۲۔حِصہٕ،بوگ۔
۳۔گٕنٛز وٗری یا واپھ۔یتھ اَندر اکھ کھوتہٕ زیادٕ
شُری یاژھو بیترِ زبن۔

کھِرِ پھیٚر :- حِصہٕ دارُن ہُنٛد کینٛہہ کالا گوٚژھتھ
اَکھاَکھ سُنٛدٕ زٕمین رٕٹُن تہٕ کماوُن۔حِصہٕ دارن
ہُنٛد زٕمین اَدلہٕ بدل کرُن۔دارِ پھیٚر۔

کھٔرل :-رانٛڈٕ گی۔رٕذیلی،کھٔری گی۔

کھٔرل کرِنۍ :-رانٛڈٕ گی کرِنۍ۔سیٹھ کرِنۍ۔ناکارٕ
خرکتھ کرنہٕ۔

کھٔرِنۍ :-[م۔موٗل: کھٔرِنۍ < س: کھری]۔
کھٔر۔خٔرٕ ہنٛز ماد۔

کھٔری پھہ :-رٕذیلہٕ۔کھوٚر۔سیٚژل۔

کھٔزٕر :-[ن۔موٗل: کھٔزٕر < س: کھر جوٗر]۔اَکھ موٗ
یُس موٚدُر چھُ آسان تہٕ یُتھ پأٹھی گرٕ علاقس منٛز
چھُ پھبان۔

کھٔزٕر گُل :-سُہ چھج دار گُل یتھ کھٔزٕر چھہِ پھوان۔

کھٔستھ :-تھدٕ دٕرجک یا پایک۔گُنہِ کھوتہٕ ہُر یا ژوٗر۔

کھٔسی پوو ؤسی پوو :-غفلتس اَندر اَتھٕ بیترِ۔

کھٔسی پوو ؤسی پوو گژھُن :-بےٚ شوٗنکس منٛز اَتھٕ
یا غلطی سپدِنۍ۔

کھٔلہٕ راوُن :-کھٔلہٕ کرُن۔گشاد کرُن۔ڈیٚوٗل کرُن۔

کھٔمبٕل :-[ن۔موٗل: کھٔمبٕل < پرٛاکرت: کھمبو+ال]
ٹنجل۔یتھ واریاہ ٹنجہِ دزٕاہو آسَن۔یتھ کأوی یا
زألی آسَن۔

کھٕنٛز :-[م۔موٗل: کھٕنٛز]۔ا۔اکھ قِسمچ پیٚرٕ ژادَر۔اکہِ
قِسمچ ژادَر یوسہٕ گوسأنی بیترِ وَلان چھہِ۔۲۔یَس
گرٕم پوٚل نالی آسَن۔

کھٔنٛ وَ گو:- وٕتھرن۔ اکہِ قسمٕچ گاسہٕ پٔچ۔

کھٔنٛڈ:-[م۔ مؤل: کھنٛج < س: کھنڈا]۔ ا۔ کُنہِ چیزٕس وٕژھٕرِ یا ٹلنہٕ آمٕژ چھل۔ پٕتر یا ٹُکرٕ ہیترِ۔ ۲۔ بوٚڈ پأتُر۔ لکرٕ ٹُکرٕ۔ دوالہٕ پھاڑ

کھنٛجہٕ کرنہِ:- ا۔ ٹُکرٕ کرٕنۍ، چھلہٕ کرنہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کینٛہہ تیٚتھ کرُن یِیمہٕ سٟتۍ زرٕ زرٕ گژھتھ

کھنٛجہٕ گژھنہٕ:- ا۔ چھلہٕ گژھنہٕ۔ ٹُکرٕ گژھنۍ۔ پھٔٹِتھ چھکرنہٕ یُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کأنٛسہِ ہُند دوکھ نہٕ ژأرِتھ ہکُن۔ کأنٛسہِ ہُند مُصیبتھ وُچھتھ وأنٛگ پھیرٕنۍ یا تلواس گژھن۔

کھنٛجہٕ وَننہٕ:-(ورگہٕ) ژٕ وَنۍ۔ اَپزٕ سٕپزٕ کتھٕ وَننہٕ۔ کینٛہہ تیٚتھ وَنُن یِیہ بُہن لایق آسہٕ نہٕ۔

کھٔنٛڈۍ پھُٹ:- کأنٛہہ سہٕ چیز یَتھ کینٛہہ نوٗقص آسہِ گومُت۔ کینٛہہ تہِ یِیہ نہٕ پوٗرٕ آسہٕ یا اوٗرآسہِ۔

کھٔنٛڈۍ پھُٹ حِساب:- سُہ کارٕ بار یَتھ پوٗرٕ حِساب تھاونہٕ آسہِ نہٕ آمُت۔ سُہ حساب یَتھ سبزٕ آسہٕ نہٕ۔ اڈلیوٗک حساب۔

کھٔنٛڈۍ پھُٹ کرُن:-(کُنہِ چیزٕس چھل ہیترِ ٹُلنہٕ کِنۍ) نوٗقص پأدٕ کرُن۔ اڈٕ کھوٗ کرُن۔ خراب کرُن۔ اوٗرنہٕ تھوٗن۔ اَربر کاسُن۔

کھٔنٛڈۍ پھُٹ گژھُن:- ا۔ (کُنہِ چیزٕس کأنٛہہ نوٗقص گژھُن۔ نوٗقص گژھنہٕ کِنۍ استیمالس لایق نہٕ روزُن۔

کھٔنٛڈۍ پھُچُر:- چھل یا پٕتر ہیترِ وۄتھنہٕ کِنۍ نوٗقص دار آسنٕچ حالتھ۔

کھٔنٛڈ تٕلٕنۍ:- ا۔ (ورگہٕ) زیٚٹھ زیٚٹھ ذٔلیل وَنۍ لاگنۍ۔ یِژھ کتھ وَنۍ یَتھ نہٕ کُنہِ گوڈ آسہِ تہٕ نہٕ کُنہِ اَنٛد۔ ۲۔ مٕنٛزۍ پٕنۍ چھل کڈتھ نۍ۔

کھٔنٛڈرَن:-[م۔ مؤل: کھٔنٛڈرَن < س: کھنڈٔ + ر] ا۔ چھلہٕ۔ ۲۔ حِصہٕ باگیہ ہُند حساب۔ ۳۔ چٔنٛدٕ۔ ۴۔ کینٛہہ کران کران یَتھ منٛزٕ ژھٔبن یا کھینٛچل۔

کھٔنٛڈرَن کرٕنۍ:- ا۔ سارِنٕے رِژھا رِژھا ہیٚتھ سوٗمبرُن۔ پٕرتھ کأنٛسہِ ہُند حِصہٕ سوٗمبرُن۔ چٔنٛدٕ دِیُن۔ ۲۔ کھینٛچل کرُن۔ تھوتھ کرُن۔

کھٔنٛڈراوُن:- وُچھو "کھٔنٛڈرَن"۔

کھٔنٛڈرُن:-[ن۔ مؤل: کھٔنٛڈر < س: کھنڈٔ + ر]۔ ا۔ پھٔٹرُن ٹُکرٕ کرٕنۍ۔ چھلہٕ کرنہٕ۔ ۲۔ حِصہٕ باگے کرٕنۍ۔

کھُہرَن:-[م۔ مؤل: کھُہرَن < س: کشہٕ]۔ ا۔ پھشہِ گٕنۍ۔ سوٗگٕنۍ یَتھ پیٚٹھ دارِ دارِ ہیٚتھی یا رس پھش یِیہ دِنہٕ۔ ۲۔ تیزۍ کرٕنۍ۔

کھُہرَن دِنۍ:- ا۔ تیز کرُن، پھش دِیُن۔ پیٚٹھرُن۔ (ورگہٕ پأٹھی) وٗتش دِیُن۔

کھُہرَن لَگٕنۍ:- ا۔ پھش لگُن۔ پیٚٹھرنہٕ یُن۔ تیز گژھن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) اَگادٕ گژھن۔ تھیٚچھے نہٕ ٹِکٕنۍ۔ زیٚٹھُن، رَزِ کھسُن۔ ۳۔ (مزاجس) تیزۍ گژھنۍ، ہوٗشنہٕ یُن۔

کھٕرِ کھیۆمُت:-ا۔رُے گۆمُت،دودر یومُت ۔
۲۔کٔنہِ لایق نہٕ رُدمُت ۔۳۔ ذٔلیل گۆمُت۔
خار گۆمُت۔

کھٕر پێنٛز:-(موس بیترِ)بہماریٚتی داغ لگنی۔موس
چھٹھ ہش نیرٕنی۔

کھٕر دٕ گنٛز:-ا۔سخ مار دیٚنہٕ۔اَسی اَسی دِنی۔
چوبہٕ ہٹھکار کرُن۔۲۔ذٔلیل کرُن۔

کھٕر زٕ لنٛز:-ا۔موٗمٕلی تچھنا کرُن۔دیٚل بیترِ نہٕ
وارٕ پأٹھی ژٕلُن۔۲۔زٔمین نہٕ وارٕ پأٹھی کھٕنُن۔
زٔمین ووگُن وایُن۔۳۔(ورگہٕ پأٹھی)
ژٕرٕنٛز۔اِشتیال دیُن۔

کھٕر والنٛز:-وَدناوُن۔اَڈزاَڈ کرٕنی۔ییری یپری والنی۔

کھٕر ووٕنٛز:-ا۔کلس کھٕر نٔونی۔کھٕر پھأٹنی۔
۲۔شٔکل بگرٕنی۔کھوسٕر ہیٛؤہ ووتھٕن۔۳۔بےٚ
شۆب گژھن۔ ۴۔کٔنہِ لایق نہٕ روزٕن۔

کھٕر۳:-[م۔مۆل: کھر>س: کھری]۔کھٕرٕنی،خٔرٕ
ہنٛز ماد۔وُچھو "کھٕر" تہٕ۔

کھٕر۴:-ا۔سوزنانہٕ یُس کلس کھشر آسہِ دژامُت۔
۲۔رذیلہٕ زنانہٕ۔

کھٕر۵:-ا۔وأرِو۔م: کھٕرِ پھیٖر۔۲۔حِصہٕ،بوگ۔
۳۔گنٛز وُری یا واپھ۔یتھ اَندرا کہِ کھوتہٕ زیادٕ
شُری یا ژھو بیترِ زہن۔

کھٕرِ پھیٖر:- حِصہٕ دارُن ہنٛد کینٛہہ کالا گژھتھ
اَکھاَکی سُند زٔمین رٔٹِن تہٕ کماوُن۔حِصہٕ دارن
ہُنٛد زٔمین اَدلہٕ بدل کرُن۔وارٕ پھیٖر۔

کھٕرٕل:-رانڈٕ گی۔رٔذیلی،کھٕری گی۔

کھٕرٕل کرٕنی:-رانڈٕ گی کرٕنی۔سیٹھ کرٕنی۔ناکارٕ
حرکژ کرنہٕ۔

کھٕرٕنی:-[م۔مۆل: کھٕرٕنی >س: کھری]۔
کھٕر۔خٔرٕ ہنٛز مادٕ۔

کھٕری پھٕ:-رٔذیلہٕ۔کھوٚر۔سپٕزٕل۔

کھٕزٕر:-[ن۔مۆل: کھٕزٕر>س: کھر جوٗر]۔اَکھ موٕ
یُس موٚدُر چھُ آسان تہٕ یُژٕ پأٹھی گرٕ علاقس منٛز
چھُ پھبان۔

کھٕزٕرٕ گُل:-سُہ چھچ دار گُل یتھ کھٕزٕر چھِ پھوان۔

کھٕسِتھ:-تھدٕ دٕر جٔک یا پایک۔کٔنہِ کھوتہٕ ہُر یا ژوٚز۔

کھٕسی پووٕسی پوو:-غفلتس اَندرا اَژٕ بیترِ۔

کھٕسی پووٕسی پوو گژھن:-بےٚ شوٚنکس منٛز اَژٕ
یا غلطی سپدٕنی۔

کھٕلہٕ راوُن:-کھٕلہٕ کرُن۔کُشادٕ کرُن۔ڈیوٚل کرُن۔

کھٕمبٕیل:-[ن۔مۆل: کھمٕبُل>پڑاکرت: کھمبو+ال]
نٔنجل۔یتھ واریاہ لنٛجہِ دژاہرٕ آسن۔یتھ کأوی یا
زألی آسن۔

کھٕنٛز:-[م۔مۆل: کھٕنٛز]۔ا۔اکہِ قسمٕچ بیرٕ ژادٕر۔اکہِ
قسمٕچ ژادٕر یوسہٕ گوسأنی بیترِ وَلان چھِ۔۲۔یُس
گرٕم پوٗل ناٹلی آسن۔

**کھٔنزِ وَگو**:- وٕتھرن۔ اکہِ قسمٕچ گاسہٕ پٕچ۔

**کھٔنڈ**:-[م۔مؤل: کھٔنج <س: کھنڈا] ۱۔ کُنہِ چیزٕس وٕژھمٕژ یا ژٹلنہٕ آمٕژ چھل۔ پٕتر یا ٹُکرٕ بیترِ۔ ۲۔ بۄڈ پاتُر۔ لکرٕ ٹُکرٕ۔ ڈُوالہٕ پھاڑ

**کھٔنجہِ کرنہِ**:- ۱۔ ٹُکرٕ کرٕنۍ، چھلہِ کرنہِ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) کینٛہہ تیُتھ کرُن یمہِ ستۍ زرٕ زرٕ گژھتھ

**کھٔنجہِ گژھنہِ**:- ۱۔ چھلہِ گژھنہِ۔ ٹُکرٕ گژھنۍ۔ پھٔٹتھ چھکرنہٕ یُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) کأنسہِ ہُنٛد دوکھہ نہٕ ژٲلتھ ہیکُن۔ کأنسہِ ہُنٛد مُصیبتھ وُچھتھ وأنٛج پھیرٕنۍ یا تلواس گژھن۔

**کھٔنجہِ وَننہِ**:-(ورگہٕ) ژُر وَننۍ۔ اَپزٕ سَپزٕ کتھہ وَننہِ۔ کینٛہہ تیُتھ وَنُن یُس بوٗزُن لایق آسہِ نہٕ۔

**کھٔنڈۍ پھُٹ**:- کأنٛہہ سُہ چیز یتھ کینٛہہ نوٗقص آسہِ گومُت۔ کینٛہہ تہِ یُس نہٕ پوٗرٕ آسہِ یا اورٕ آسہِ۔

**کھٔنڈۍ پھُٹ حِساب**:- سُہ کارٕ بار یتھ پوٗرٕ حساب تھاونہٕ آسہِ نہٕ آمُت۔ سُہ حساب یتھ سبزٕر آسہِ نہٕ۔ اَڈلیوٗک حساب۔

**کھٔنڈۍ پھُٹ کرُن**:-(کُنہِ چیزٕس چھل بیترِ ژٹلنہٕ کِنۍ) نوٗقص پٲدٕ کرُن۔ اَڈٕ کھوٚ کرُن۔ خراب کرُن۔ اورٕ نہٕ تھوٗن۔ اَربرکاسُن۔

**کھٔنڈۍ پھُٹ گژھن**:- ۱۔ (کُنہِ چیزٕس کانٛہہ نوٗقص گژھن۔ نوٗقص گژھنہٕ کِنۍ استعمالس لایق نہٕ روزُن۔

**کھٔنڈۍ پھُچُر**:- چھل یا پٕتر بیترِ دوٚتھنہٕ کِنۍ نوٗقص دار آسنٕچ حالتھ۔

**کھٔنڈ ژٹلُن**:- ۱۔ (ورگہٕ) زٕٹھ زٕٹھ ذلیل وَنِٕو لاگنۍ۔ یتھٕ کتھ وَننۍ یتھ نہٕ کُنہِ گوڈ آسہِ تہٕ نہٕ کنہِ اَند۔ ۲۔ مُنٛزی پٕنٛنۍ چھل کڈتھ تنۍ۔

**کھٔنڈرَن**:-[م۔مؤل: کھٔنڈرَن <س: کھنڈٕ+ر] ۱۔ چھلہِ۔ ۲۔ حِصہٕ باگیہ ہُنٛد حساب۔ ۳۔ چٔنٛدٕ۔ ۴۔ کینٛہہ کران کران تتھ منٛز ژھین یا کھینچل۔

**کھٔنڈرَن کرٕنۍ**:- ۱۔ سارِنۍ رژھا رژھا ہیتھ سوٚمبرُن۔ پتہٕ کأنسہِ ہُنٛد حصہٕ سوٚمبرُن۔ چٔنٛدٕ دیُن۔ ۲۔ کھینچل کرُن۔ تھوتھ کرُن۔

**کھٔنڈراوُن**:- وُچھو "کھٔنڈرَن"۔

**کھٔنڈرُن**:-[ن۔مؤل: کھٔنڈر <س: کھنڈٕ+ر]۔ ۱۔ پھٹرُن ٹُکرٕ کرٕنۍ۔ چھلہِ کرنہِ۔ ۲۔ حصہٕ باگے کرٕنۍ۔

**کھٔہرَن**:-[م۔مؤل: کھٔہرَن <س: کشہٕ]۔ ۱۔ پھٔشہِ گژھ۔ سوٚکنۍ یتھ پٹھ دارِ دار ہیتھی یا رس پھٔش ییہ دِنہٕ۔ ۲۔ تیزی کرٕنۍ۔

**کھٔہرَن دِنۍ**:- ۱۔ تیز کرُن، پھٔش دیُن۔ پٹھرُن۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) وُتش دیُن۔

**کھٔہرَن لگٕنۍ**:- ۱۔ پھٔش لگُن۔ پٹھرنہٕ یُن۔ تیز گژھن۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) اَگاد گژھن۔ تھسے نہٕ ٹیکٕنۍ۔ زٕٹھُن، رَزِ کھسُن۔ ۳۔ (مزاجس) تیزی گژھنۍ ہوٚٹھنہٕ یُن۔

کھٔہرنہِ کھسُن :۔ا۔(ورگہٕ) وٗتھنہٕ یُن۔ گرنہٕ یُن۔ گنہِ کتھِ بیترِ پیٹھ دَرُن۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) تیزی گُن گژھن۔

کھٔہرنہِ کھوٗ تمُت :۔(ورگہٕ) کنہِ کتھِ پیٹھ گرنہٕ آمُت۔ یُس نہٕ پننہِ ہَنہِ ڈَلہِ۔

کھٔہرَنہِ گوٗر :۔ا۔سُہ یُس اوزارَن بیترِ تیزی آسہِ کران۔ دارِ دارِ ہتھی یا رَن بیترِ پٹھراوَن یا پھَش دِنہٕ وول۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) کُشدِ گر۔ یُس نہٕ تھپھے تُلہِ۔

کھہرَنہِ لدُن :۔(ورگہٕ) بد نام کرُن۔ اُڈٕ اُڈٕ کڈُن۔ توتمہٕ زٕ پٹھراوُن۔

کھہرِنی گر :۔[<س: گش + گتہٗ]۔اوزارَن بیترِ تیزی کرَن وول۔سُہ یُس ہتھی یارَن پٹھراوان آسہِ۔

کھاأر :۔[م۔مؤل۔کھار <س: کثار]۔ژاأش۔ژوٗچ۔ یَتھ نوٗنہٕ مَزٕ آسہِ۔

کھاأر میٖژ :۔ژوٗچ میٖژ۔ژاأش میٖژ۔نٗنٛج میٖژ۔

کھاأرٕ :۔[<پراکرت۔کھَ اِرَم <س: کھادِرَ]۔اکہِ قسمٕک دوز جاٛرٕ سان پھیکہِ دوا۔

کھاأریُن :۔[ن۔مؤل: کھاأرین <س: کھاری]۔ ا۔یَتھ اکھ کھاروَزَن آسہِ۔۲۔ٹھیلہٕ بیترِ یَتھ اَکھ کھار واتہِ۔۳۔زٔمینہِ ٹُکرِ یمیُک روقبہٕ ۳۲ کنالہٕ آسہِ۔

کھاأز :۔[م۔مؤل: کھاز <پراکرِت۔ کھَج جُر <س: کھَرجُہ۔مُ، ہ: کھاأج]۔نِکی نِکی پھٕلہٕ پھریم کھہہٕ

وانہِ مُنزی پکنہٕ سٟتی زَنگَن بیترِ چھہِ نیران۔اکہِ قسمُک کشُن۔تُچھنی۔

کھاأزلَد :۔ا۔سُہ یَس کھاأز لاریمٕژ آسہِ۔۲۔سُہ زٔمین یَتھ کھاأز آسہِ۔

کھاأزٕلگنی :۔زَنگَن کھاأز لارنہٕ سٟتی تُچھن ہیوٗہ وۄتھُن۔ زَنگَن بیترِ کھاأز لارنہٕ سٟتی پھٕلہٕ پھر نیرٕنی۔

کھاأش:۔[<ع:خصی]۔بالہٕ کوٗرمُت۔آختہٕ شوٗژروومُت۔

کھاأش کٹھ :۔بالہٕ کرنہٕ آمُت کٹھ۔ سُہ کٹھ یُس شوٗژراونہٕ آسہِ آمُت۔

کھاأش کرُن :۔شوٗژرُن۔آختہٕ کرُن، بالہٕ کرُن (کٹھ بیترِ)۔

کھاأرٕ گل :۔ا۔دَردَرٕ۔۲۔مُکھر۔

کھاأرٕ گل لائگنی :۔(ورگہٕ) دَرٕ دَرٕ لائگنی۔ تھپھ نہٕ تُلنی۔کمزاأتِل ہاوٕنی۔

کھاأگی :۔[ن۔مؤل: کھاگی]۔ا۔گاأری سوٗمبرن وول۔ ۲۔رادَن پیٹھ سبزی وۄپداوُن وول۔۳۔(ہزلہٕ) کاشکار۔

کھاأنی :۔[م۔مؤل: کھاأنی <س: کھَن]۔اکہِ قسمٕچ لوتہٕ واأے اَلہٕ باأنی۔سو اَلہٕ باأنی یوسہٕ دالیہ پتہٕ زٔمین پھرنہٕ باپتھ اِستیمال کرنہٕ ییہِ۔ ہیچہٕ چالہِ آلہٕ۔ ۲۔اکہِ قسمُک ٹونگر۔آرَم ٹونگر۔

کھاأنی مَن :۔[<س: کھَنہِ + انگ : مانڈ]۔تیوٗت یَتھ دَرٕ دِتھ ہیکی زِنہٕ۔سبٹھاہ۔وارِیاہ۔گُتُل۔بسیار۔

کھائنٹ :-[م۔مؤل: کھانٹ ]۔ اَکھ گاڑ ذاتھ۔ گُرَن ہُنٛد اَکھ قسم۔

کھِت کھِت :-[ن۔مؤل: کھِت کھِت< آوازِ پٮ۪ٹھ ]
ا۔لوکٕٹس شُری سُنٛد اَسُن۔ ۲۔ نازٕ گٔری گٔری اَسُن۔ نٕخرل اَسُن۔

کھِت کھِت کرُن/ لاگُن :-(ہزلہٕ)لوتہٕ لوتہٕ اَسُن۔ نٕخرٕ گٔری گٔری اَسُن۔

کھِت کھِت گوٗژر :-(ورگہٕ) اَسہٕ وِنۍ تہٕ نٕخرل زَنانہٕ۔ سو یوسہٕ ژھرٕ کتھہِ پٮ۪ٹھ اَسُن تہٕ اَسُن تژاوِ۔

کھِچُر بِچُر :-پھیر۔ دوکھ۔ تارَن گٔری۔

کھِچُر بِچُر کرُن :-پھیر کرُن۔ کُنہِ رَقمہٕ ہیترٕ منٛز اُڑ ہَنا دَباوٕنۍ۔

کھِر :-[ن۔مؤل: کھِر <س: کُشیر ]۔ اَکہِ قسمُک موٗدُر دودٕ وُگرٕ۔

کھِرٕ ٹانٹھ :-کھِرٕ چ دار۔ کھِرٕ رَژھا۔ کھِرٕ ٹِکھا۔

کھِرٕ ٹوٗک :-ا۔ کھِرٕ بٔرتھ کترٕ ورِکاَبۍ ۔۲۔ تیوٗت کھِر یوٗت ٹاکَس واتہٕ۔

کھِر باوُن :-کُنہِ تھاپنایہٕ ہِندی نٲوی کولہِ یا کرٕزِس کھِر تژاوُن۔

کھِر تھوٗن :-کانٛہہ کام ہیترٕ بامُل پنہٕ خاطرٕ کھِر کرنُک پرٕن کرُن۔ نیاز پُرٕ ژھی کھِر کرنُک وادٕ کرُن۔

کھِر کرُن :-ا۔ کھِرٕ تیار کرُن۔ کھِر بناوُن ۔
۲۔ بٔڈَن ہُنٛد کانٛسہِ شُٹھلی نیرنہٕ پتہٕ کھِر بناوتھ

بٲگراوُن۔ ۳۔ شُکرانہٕ پٲٹھۍ دیوی دیوتاہَن دی کھِر کرُن تھوٗن۔

کھِرَن :-[مؤل: کھِرن <م ٗہ: کھِرَن]۔ گوٗنس منٛز آوازِ موڈٕ۔

کھِرَن دِنۍ :-گوٗنَس منٛز بٲتس ووج دیُن۔ تالہِ منٛز گیوُن۔

کھِرا :-[ن۔مؤل۔کھِر <س: کھیٹہٕ]۔ ترٕ ومہٕ گاسہٕ یُس سَرد علاقَن منٛز بووان چھُ۔

کھِر ۲ :-[مؤل۔کھِر <سکھٔلتہٕ]۔ ہلٮ۪یوٗمت۔ یُس پبد ژاہرٕ آسہٕ۔ یِلہٕ۔ اَتھ تَلہٕ گوٗمت۔ دژیوٗمت۔

کھِرٕ سٔلی :-سُہ یُس کُنہِ کتھہِ پٮ۪ٹھ ہلٮ۪یوٗمت آسہٕ۔

کھِرٕ گرٕژھن :-ہلُن۔ کُنٛژ عادتھ گرٕژھن۔ پبد اَژنۍ۔

کھِرٕ کی :-[م۔مؤل: کھِر کی <س: کھٹک رِکا]۔ بٔڈ دٲر۔

کھِرکہٕ دَستار :-دَستار گنٛڈنُک اَکھ خاص طٔریقہٕ یتھ بُتھ وَژھرہیوٗ چھُ روزان۔

کھِسکُن :-[<م۔ہ: کھِسکانا]۔ پتِۍ پتِۍ ژٔلُن۔

کھِش :-[م۔مؤل: کھِش <س: کھَش ]۔ کھَش ۔ کُنہِ تیز چیزٕ سِتۍ دِنہٕ آمُت کھِہہ۔

کھِکھُر :-[ن۔مؤل: کھکھر ]۔ا۔ اکہِ قسمُک ژھر۔ سُہ کانٛہہ پٔتل ہیوٗ ہ۔ یتھ پٮ۪ٹھ موکھ سیٚنہ ہو کھ وان چھ۔ ۲۔ کانٛہہ زانُن ۔۳۔ گاسَس وۄنُمت بور سارنہٕ باپتھ ٹھیلہٕ۔

کھِلہٕ مِلہٕ :-[حِل لفظُک پوٗت صدا۔ کھِل+مِل <

س: ہِل]۔ رَلہٕ گژھتھ ۔ یتھہٕ پأٹھۍ رَلہٕ گومُت یُتھ بیٚون بیٚون کڈِتھ ہیٚکہِ نہٕ زٕنہٕ۔

کھلہٕ مِلہٕ کرُن :-ا۔ سأری ہیٚ کُنۍ کرُن۔ کھُر اُنُن ۔ رَلہٕ کرُن۔ رَلاوُن۔ شوٗزَرنہٕ تھوٗن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) خراب کرُن۔ شِکل بگراوٕنۍ۔ ضایہٕ کرُن۔

کھلہٕ مِلہٕ گژھن :-ا۔ رَلہٕ گژھن۔ کھُر یُن۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) کُنہٕ لایق نہٕ روزُن۔ رَلہٕ گژھنہٕ کِنۍ نہٕ اکاربکاریُن لایق روزُن۔ ۳۔ گال کھاتس گژھن۔ یتھ کُن پیٚوٚن تہٕ اتھ نہٕ یُن۔

کھلہٕ ؤہر :-وۄچھو ''کھیل''۔

کھلہور :-[ن۔ مؤل: کھلہار < س: کھلّہ+سہر ]۔ اکہٕ رِچ چٕنۍ۔ نالأنۍ۔

کھلہأرِس پیٚون :-ا۔ ضۆرؤرتھ باسُن۔ لاچأری آسٕنۍ۔ ۲۔ حرامس پیٚون۔

کھلہأرس وَنڈُن :-(ہزلہٕ) حقیٖر زانُن۔ آنٹہٕ نہٕ کھسُن۔ اہمیتھ نہٕ دِنۍ۔ مِنہأزارس وَنڈُن۔

کھنۍ :-وۄچھو ''کھنۍ''۔

کھنڈ :-[م۔ مؤل: کھنڈ <؟ س: گینڈ]۔ ژھال۔ ژنگرٕ۔ گنڈان رُگنڈان ووٚتھ۔ ووسہٕ یتھ شُرس بیترٕ سٕنز دَوٕ دَو۔

کھنڈ کرنہٕ :-ا۔ ژنگرٕ تُلنہٕ۔ ووسہٕ یتھ دَودَو کرٕنۍ۔ خوش گۄھتھ ووٚتُن ۔۲۔ نُخرٕ کرٕنۍ۔ تماشہٕ کرٕنۍ۔

وَر کرٕنۍ۔

کھنگر :-[م۔ مؤل: کھنگر حف: کنگرہ]ا۔ چألی۔ دزٕبزٕ۔ کبر۔ اپزٕ ے بجر۔ ۲۔ بالغ کورِ ہٕنز اَسُن تزاے۔

کھنگر کھسٕنۍ :-چألی کھسٕنۍ۔

کھنگر گژھنۍ :-نکھس کھسُن۔ چألی کھسُن

کھنگرِ کھسُن :-ا۔ بزاوُن۔ غرضس لاینہٕ یُن۔ کُنہٕ ہتھ تھزٕ جایہ واتُن ییٚتہٕ سرا زپری گژھتھ ؤسی پینگ خطرٕ آسہٕ۔

کھنگر کھوٚتمُت :-یَس چألی آسہٕ کھُرٕ مِژ۔ یَس اپزٕ ے دَزٕبزٕ آسہٕ نکھس کھوٚتمُت۔

کھیتۍ :-[م۔ مؤل: کھیتۍ < س: کشتیر]ا۔ لاگنۍ دٕج، ڈۆر۔ سوزٕمین یتھ فصل بووان آسہٕ۔ ۲۔ بوٚڈعیال۔

کھیتۍ بزٕ ہتی :-یزٕمن دأری۔

کھیتۍ کرٕنۍ :-کمأے کرٕنۍ۔ لاگنۍ کمأونۍ۔ زٕمین کماوُن۔

کھیتۍ لاگنۍ :-زٕمین کمأے کرٕنۍ۔ زٕمین کماوُن۔ لاگنۍ کرٕنۍ۔

کھیتہٕ وول :-ا۔ یَس واریاہ زٕمین آسہٕ۔ بوٚڈ زٕمیندار۔ ۲۔ یَس بوٚڈعیال آسہٕ۔

کھیٖد :-[<س: کھید]۔ تکلیف۔ دوکھ۔ کشٹ۔

کھیٖد گومُت :-دوکھووٕلمُت مُصیبتوٕ روٚٹمُت۔

کھیٖد تُلُن :-تکلیف وہٕزٕن۔ دوکھ ژالُن۔ عذاب برداش کرُن۔ کشٹ تُلُن۔

کھیٖد دیُن :-تکلیف دیُن۔ دوکھ واتناوُن۔

**کھید واتناوُن** :- دَدارٕ کرُن۔ نوقصان واتناوُن۔

**کھیر بوٲنی** :-[م۔ مؤل۔ کھیر بوٲنی <س: کشیر+بھوانی]۔ تُلہٕ مُلیُگ رٲ گنیادیوی ہُند استھاپَن۔

**کھیر ساگُر** :- ہیٚنٛدَن ہِندِ عُقیدٕ مۆجوٗب رودٕ سۆدرٕ یتھ منٛز باگ زٔمین چھےٚ۔

**کھیس** :-[ن۔ مؤل: کھیس ۔م۔ ہ: کھیسا]۔ رُبُس۔ دیا رَن ٹیٚلہٕ۔

**کھیس کرُن** :- مَنزی گۆل کڈنہٕ باپتھ روٗپَین ہیتھ پھیرٕ یا ٹیٚلہٕ کرُن۔

**کھینہٕ پچھ** :-[ن۔ مؤل: کھینہٕ پچھ <س: کشینہَ پکشَہ] کاہمرٕ پچھ۔ اَشہِ گٹہٕ پچھک شرٛاد پچھ۔

**کھیوٚٹھ** :-[ن۔ مؤل: کھیوٚٹ <م۔ ہ: کھیوٚٹ <س: کشیتر+ وَنٹہ]۔ سُہ زٔمین یُس پٹواری کاغذن منٛز کاٚنسہِ ہِندِ ناوٕ درج آسہِ۔

**کھیوٚٹہٕ وول** :- بۆڈ زٔمیندار، ڈیکھی جَل گرٛؤس۔

**کھیوٚٹ اَلگ کڈُن** :- مُشترکہٕ زٔمینہٕ منٛز (کاٚنسہِ ہُند) پنُن زٔمینہٕ حِصہٕ اَلگ رٹُن تہٕ تمیُک اِندراج کاغذن منٛز کرناوُن۔

**کھیوٚٹھ دار** :- زٔمینہٕ وول۔ وراثتھ وول۔ ازواےنہٕ۔ نانگارنہٕ۔

**کھر۱** :-[م۔ مؤل: کھر < آوازِ پیٹھ]۔ رِس۔ رِکن۔

**کھرِ ژلُن** :- ژٕس ہیتھ گژھنہٕ کنٛز (زٔمین) نیرتھ گژھن۔ کھرِ وسُن۔ رِکنہٕ وسُن۔

**کھرِ وسُن** :- رِکنہٕ وسُن۔ ژٕس گژھنہٕ یا آوسنہٕ کنٛز ڈُلہٕ وَنہٕ یِن۔ رِسہِ وسُن۔

**کھرِ پنٛج** :- سو پاٚتر یوسہٕ رِکن تژاونہٕ وِزِ کھورَن تل رٹنہٕ چھےٚ یوان۔

**کھر تژاوِنی** :- ۱۔ رِکن تژاوِنی۔ رِسہِ وسُن۔ ۲۔ باثبر کرِنی تہٕ زَڈ والنٛز۔

**کھر ژٕھنٛز** :- ۱۔ رِس تژاوِنی۔ رِکن تژاوِنی ۔۲۔ (ورگہٕ پاٚٹھی) بگارِ پاٚٹھی کام کرِنی۔ باثبر کرِنی۔

**کھر گژھنٛز** :- ۱۔ کھور نیرتھ گژھن۔ کھور رِکنہٕ ژلنہٕ کنٛز وُکراونہٕ یِن۔ دَب لگُن ۔۲۔ الغأیہٕ اَتھٕ گژھن۔

**کھر۲** :-[ن۔ مؤل: کھر < آوازِ پیٹھ]۱۔ کاغذ ہیتھ وَنٛچ یا ژَنٛچ آواز، سو آواز یوسہٕ کاغذ وٹنہٕ ہیتھ یتہِ چھےٚ گژھان۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٚٹھی) ٹرٛا، اَپُز مپُز ڈلیل۔ راد۔ نہٕ وپنٛز لایق کتھ۔

**کھر گۆر** :- وُچھِو "کھرل"، ٹرٛباز۔

**کھر کھر** :-[ن۔ مؤل: کھر کھر < آوازِ پیٹھ]۔ سورسور، ٹرٛزنگہٕ ہیتھ تکنٛج آواز، چھٕنٛج آواز۔

**کھر وَنٛز** :- (ورگہٕ) ٹرٛ وَنٛز، رادوَنٛز۔ تہٕ وَنُن یہِ نہٕ بنیوٚ متےٚ آسہِ۔

**کھرل** :- ٹرٛگۆر۔ رادوَنن وول۔ یَس اَپُز مپُز کتھ وَننس عادتھ آسہِ۔

**کھر پوٗژ** :- تمہٕ رِکھ یمہٕ اَن ہیٚچھر ٹُر مشکہٕ یا کاکدس پیٹھ دِوان چھُہ۔ تتھ رِکھ یمن نہٕ کانٛہہ خاص

شکل نیر۔ رٕکھ پوٚٹر۔
کھٕرٕ:-[ن۔ مؤل: کھٕرٕ > س: کوٗرچہ]۔ ۱۔ سُہ جُتھر ہیوٗہ یُس پٔنس بیترِ کھُر یِنہٕ ستۍ گرٕھان چھُ۔ ۲۔ تمہٕ کیٚر تِلمہٕ یِمہ پکلوسُوٗن وِزِ ترٛاش ہینہٕ ستۍ نیران چھےٚ۔ ۳۔ کھنٛڈواوٕ سُند برُش۔ برُشہٕ قلم۔
کھٕرٕ دار:- کھٕرٕل، سُہ کیٚرُ یتھ پٔن نیران آسَن یالِشہٕ ہشہٕ ووتھان آسَن۔
کھٕرٕ کرُن:- ۱۔ پکلوسُوٗن وِزِ کھُر یِنہٕ کِنۍ پٔن (ہٕرٕ) مِشینہٕ ہِنٛدِس شٹلَس منٛز بَنٛد گرٕھن تہٕ سیوٚدسیوٚد ٹیب نہٕ لگنۍ۔ ۲۔ (برُشہٕ بیترِ ستۍ) صاف کرُن۔ ۳۔ (کُنہٕ وَستَس) مُلہٕ ملیہٕ کرُن۔
کھٕرٕ گرٕھنۍ:- ۱۔ پٔنَس کھُر یُن، پکلوسُوان سُوان پٔنَس ٹٲکھ لگنۍ۔ ۲۔ ہٕرٕ مشینہٕ ہِنٛدِس شٹلَس منٛز پٔن بند گرٕھنہٕ کِنۍ ہٕرٕنہٕ ہُنٛد نہٕ پکُن۔ پھرٕک گرٕھن۔
کھٕرٕ ووٕھنۍ:- لِشہٕ ووتھنہٕ۔ کیٚرس ماوٕلس پٔن نیرٕنۍ۔ کیٚرٕ چیٚنۍ وٕتھتھ تنۍ۔
کھٕرٕل:-[مؤل: کھٕرٕل > چھو۔ کھٕرٕ]۔ سُہ کیٚرُ بیترِ یتھ ماوٕلو طرفہٕ پٔن نیران آسہِ یا یٚنۍ وٕتھتھ آسہِ آمٕرٕ۔
کھٕسنۍ:- (ورگہٕ) پرواے، فِکرِ۔ م: تُس کیا کھٕسنۍ چھےٚ۔
کھٕسُن:-[> س: کرشنہٕ۔ مُ: ہ: کھوسنا]۔ ۱۔ نِچہٕ یڈٕ بوٚنہٕ کنِکۍ وال کھٕنٛرٕنۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پٲٹھۍ) گُرِتھ ہٕکُن۔ جاگیرٕ رٹُن۔
کھٕش:-[ن۔ مؤل: کھٕش]۔ زِل۔ کھٕہہ۔
کھٕش لگُن:- زٕلنہٕ بیترِ یِنہٕ کِنۍ کھٕہہ لگُن۔
کھٕنَل:- یَس کھٕنۍ پشپان آسہِ۔ یَس دوہے کھٕنۍ مُتھتھ آسہِ۔ گَنٛدٕ۔
کھٕنۍ:-[م۔ مؤل: کھٕنۍ > س: سِنگھانم]۔ ۱۔ سُہ سفیدی سان پِشُل مادٕ یُس نستہٕ کِنۍ اِنسانس بیترِ وَسان چھُ۔ نستہٕ کِنۍ پِشپُن وول مواد۔ ۲۔ سُہ اَنمہٕ ہیوٗہ یُس گوٗج پوٚٹھنہٕ برٛوٗنہہ کھالہٕ کس دٔلِس منٛز آسان چھُ۔ ۳۔ سُہ پِشُل مواد یُس زٕہیرس منٛز پکہِ۔
کھٕنہٕ برٛوٚٹ:- نستہٕ منٛز وٕزٕھمٕرٕ کھٕنہٕ دار۔ کھٕنہٕ لٕجمٕرٕ تےٚ۔
کھٕنہٕ بوٗبُس:- یَس زٕرٕ کھٕنۍ وَسان آسہِ۔ یَس نستہٕ کِنۍ کھٕنہٕ داروَسہِ۔
کھٕنہٕ دٕج:- نَس ووتھراونٕچ دٕج۔ سو دٕج یِمہٕ ستۍ نَس ووتھراوِ زِ۔
کھٕنہٕ کھاو:- نستہٕ ہٕنٛزا اکھ بیمٲرۍ۔
کھٕنہٕ گرٕکھ لگنۍ:- ۱۔ سخ زُکام آسُن۔ ۲۔ (ورگہٕ) کانٛہہ کٲم نہٕ اَنٛد نہٕ کِنۍ وَدنَس کھسُن۔ کامہٕ ہُنٛد ژوٚز بار پینہٕ کِنۍ تھۍ کِنۍ یُن۔ کامہٕ چار ووتھنہٕ کِنۍ کانٛہہ اَتھ وَتھ نہٕ تنۍ۔
کھٕنہٕ لوٚژھ:- یکہٕ وَٹہٕ وٕزٕھمٕرٕ وار یاہ کھٕنۍ۔ نستہٕ اَویزان کھٕنہٕ برٛوٚٹ۔
کھٕنہٕ لوپُن:- ۱۔ یَس زٕرٕ کھٕنۍ آسہِ وَسان۔ یَس چوٚنٛٹھ کھٕنہٕ ستۍ برِتھ آسہِ۔ ۲۔ کھٕنہٕ ڈیر۔
کھٕنہٕ موٚت:- سُہ یَس یٕرٕ پٲٹھۍ کھٕنۍ آسہِ وَسان۔

یَس سأری ہے چانٛٹس کھٕنٛز مُتھتھ آسہِ۔

کھِنہِ نکوور:-۱۔ یَس نَستہِ ہُنٛد اُکھ لَد کھِنہِ بڑتھ آسہِ۔
۲۔(ورگہٕ پأٹھی) یُس نہٕ کُنہِ لگہِ۔ گنٛدٕ تہٕ نالگہٕ ہار۔

کھِنہِ نوٚس:-۱۔ سُہ شُر یَس نَستہِ منٛز کھٕنٛز آسنہٕ کِنہِ شرٛؤنو شرٛؤنو گژھان آسہِ۔ ۲۔ گنٛدٕ تہٕ بد عادَتھ شُر۔ سُہ یُس صاف روزان آسہ نہٕ۔ ۳۔ بےٚ ؤطیر۔

کھِنہِ نوٚ گر:-یَس نکوار ہن منٛز کھٕنٛز آسنہٕ کِنہِ شرٛؤنو شرٛؤنو گژھان آسہِ۔

کھٕنٛز کڈٕنۍ:-نَس صاف کرٕنۍ نَس دِنۍ۔ نَستہِ منٛز مواد لُمتھ کڈُن تہٕ نیبر ترٛاوُن۔

کھٕنٛز کرٕنۍ:-۱۔ خجل کرُن۔ شرمنٛد کرُن۔ ۲۔ بڑس کرٕنۍ۔

کھٕنٛز کھسٕنۍ:-۱۔(ورگہٕ) ژکھ کھسٕنۍ۔ شرارتھ کھسُن۔ ڈبکہِ چارُن۔ دزٕ ہہ لدٕنۍ۔ ۲۔ فترتھ کھسٕنۍ۔ ودنَس کھسُن۔ مُنٛنَس کھسٕنۍ۔

کھٕنٛز گژھنۍ:-۱۔(لُکن منٛز خجل گژھن۔ (ناکامیأبی کِنۍ)۔ ۲۔ کھأنُس یا گوجہِ بیترِ دبلس منٛز موٚٹ آب بٕنُن۔ یَتھ پتہٕ گوٚج چھےٚ بنان۔

کھٕنٛز وَسٕنۍ:-کانٛہہ کأم اندواتناوُنس منٛز سختی یِنۍ۔ بدادیُن۔

کھٕنٛز ودھرٕنۍ:-وُچھو "کھٕنٛز کڈٕنۍ"۔

کھٕنٛز:-[ن۔مؤل: کھٕنٛز]۔۱۔ تمہِ تیر یمہِ پچھنس بیترِ لُمتھ کڈنہٕ آسَن آمٕژ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) پیٛٹھی وأنۍ پأنسہٕ، رٕشوٕ۔ کوٚژھ۔ ۳۔ غبتھ۔

کھٕنٛز کوٚ گر:-(ورگہٕ) بےٚ شوٚب۔

کھٕنٛز گوٚر:-یُس کوٚژھ ہوان آسہِ۔ یُس رٕشوٗ آسہِ رٹان۔

کھٕنٛز گوٚر:-یُس کوٚژھ ہوان آسہ۔ یُس رٕشوٗ آسہِ رٹان۔

کھٕنٛز بٕنُن:-رٕشوٕ بٕنُن۔ کوٚژھ بٕنُن۔

کھٕنٛز رٹُن:-رٕشوٕ سوٚمبرُن۔ گوٚھی دیأر سوٚمبرٕنۍ۔

کھٕنٛز کرُن:-(ورگہٕ) رٕشوٕ ہیوٚن۔ پیٛٹھی وأنۍ پأنسہٕ کڈُن۔ کوٚژھ ہیوٚن۔ مُہتھ ترٛاوُن۔ زٕج لاگُن۔

کھٕنٛزُن:-[ن۔مؤل: کھٕنٛز]۔۱۔ تیر لُمتھ کڈنہٕ۔ تیر لُمتھ وأسرادنہٕ۔(پچھنس بیترِ)۔ ۲۔ وال مؤلہٕ کڈٕنۍ۔ ۳۔(ورگہٕ پأٹھی) سخ اُڈزاُڈ کرٕنۍ۔

کھٕنٛزِتھ ترٛاوُن:-۱۔(ورگہٕ) سخ اُڈزاُڈ کرٕنۍ۔ ۲۔(ورگہٕ) کیٛنٛہہ لور نہٕ تھوٚن۔ سوٗرے مُہتھ نِیُن۔ کانٛہہ گذار نہٕ تھوٚن۔ نوٗنے تہٕ چھوٚنے ترٛاوُن۔

کھٕنٛز مُت:-۱۔ یَس تیر لُمتھ کڈنہٕ آسن آمٕژ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) نوٗنے تہٕ چھوٚنے۔ پزتھ کُنہِ نشہِ موکلاوِتھ تھوٚومُت۔

کھٕنٛز مُت کوٚ گر:-۱۔ یَس ہُتہِ پیٛتہِ تیر کھیٛش ژٕٹتھ آسہِ نیمٕژ یا کڈٕمٕژ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) یُس نوٗنے تہٕ چھوٚنے آسہِ۔ یَس ناکٕی پلوتہٕ آسہ نہٕ۔

کھِہہ:-[ن۔مؤل: ءکھِہہ >س: کھش]۔ زٕل۔ موٗمؤلی خراش۔ موٗمؤلی ژبھ۔ لوٗٹ۔ چھوکھ۔

کھِہہ لدٕ:-یَتھ زٕل آسَن لگٕمٕژ یا ژبھ لجہِ مٕژ آسَن۔

کھِہہ دیُن:-زٕل دیُن۔ زٕلُن۔ موٗمؤلی ژبھ دِنۍ۔

کھِہہ لگُن:-زٕل وَسُن۔ ژبھ لگٕنۍ۔ موٗمؤلی چھوکھ لگُن۔

شکل نیر۔ رٕ کھ پوٗ ژنۍ۔

کھڑ :-[ن۔ موٗل: کھڑ < س: کوٗرچہ]۔ ۱۔ سُہ بُتھر ہیٚوٚہ یُس پَنٕس بیترِ کھُر پٮ۪نہٕ سٟتۍ گژھان چھُ۔ ۲۔ تمہٕ کیٚپر تلمہٕ ییمہٕ پلوسوٗن وِزِ تراش ہیٚنہٕ سٟتۍ نیران چھےٚ۔ ۳۔ کھنڈ واوٕ سُند بُرش۔ بُرشہٕ قلم۔

کھڑ دار:- کھڑوٗل، سُہ کیٚپر یَتھ پٮ۪ن نیران آسَن یا لِشہِ ہشہِ ووتھان آسَن۔

کھڑ کرُن:-۱۔ پلوسوٗن وِزِ کھُر پٮ۪نہٕ کِنۍ پٮ۪ن (ہڑ مشینہٕ ہنٛدِس شٹلس منٛز بنٛد گژھن تہٕ سیوٚ دسیوٚ د ٹیب نہٕ لگنۍ۔ ۲۔ (بُرشہٕ بیترِ سٟتۍ) صاف کرُن۔ ۳۔ (کنہٕ وَسٹس) مُلہٕ ملیہٕ کرُن۔

کھڑ گژھنۍ:-۱۔ پنٕس کھُر یُن، پلوسوان سوان پنٕس ٹُکھ لگنۍ۔ ۲۔ ہڑ مشینہٕ ہنٛدِس شٹلس منٛز پٮ۪ن بنٛد گژھنہٕ کِنۍ ہسوٗنہٕ ہُنٛد نہٕ پکُن۔ پھڑُک گژھن۔

کھڑ ووٗہنۍ:- لِشہِ ووتھنہٕ۔ کیٚپرس ماوٕلس پٮ۪ن نیرٕنۍ۔ کیٚپرچ پینۍ ؤتھتھ ہنۍ۔

کھڑوٗل:-[موٗل: کھول <چھو۔ کھڑ]۔ سُہ کیٚپر بیترِ یَتھ ماولو طرفہٕ پٮ۪ن نیران آسہِ یا پینۍ ؤتھتھ آسہِ آہڑ۔

کھسنۍ:- (ورگہٕ) پرواے، فکر۔ مِ تَس کیا کھسنۍ چھےٚ۔

کھسُن:-[< س: کرشنہ۔ مُ۔ ہ: کھوسنا]۔ ۱۔ نچہِ یڈ بونہٕ کنگی وال کھنڑنۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کُرتھ ہکُن۔ جأگیر رٹُن۔

کھش:-[ن۔ موٗل: کھش]۔ زِل۔ کھہہ۔

کھش لگُن:- زِلنہٕ بیترِ پٮ۪نہٕ کِنۍ کھہہ لگُن۔

کھشلُل:- یُس کھنۍ پشپان آسہِ۔ یُس دوہے کھنۍ مُتھتھ آسہِ۔ گنٛد۔

کھنۍ:-[م۔ موٗل: کھنۍ < س: سنگھانم]۔ ۱۔ سُہ سفیدی سان پشُل ماد یُس نستہٕ کِنۍ انسانس بیترِ وَسان چھُ۔ نستہٕ کِنۍ پشپن وول مواد۔ ۲۔ سُہ انمہٕ ہیٚوٚہ یُس گوٚج پوٚٹھنہٕ بروٚنہہ کھالہٕ کَس ڈلس منٛز آسان چھُ۔ ۳۔ سُہ پشُل مواد یُس زٕ ہیرس منٛز پکہٕ۔

کھنہٕ بڑوٗٹ:- نستہٕ منٛز ؤژھمِژ کھنہٕ دار۔ کھنہٕ لُجمِژ تےٚ۔

کھنہٕ بوبُس:- یُس ژٕر کھنۍ وَسان آسہِ۔ یُس نستہٕ کِنۍ کھنہٕ دار وَسہِ۔

کھنہٕ ڈٕج:- نَس ووتھراوِنچ ڈٕج۔ سوٗ ڈٕج ییمہٕ سٟتۍ نَس ووتھرٲوِتھ زِ۔

کھنہٕ کھاو:- نستہٕ ہنٛز اکھ بیمأرۍ۔

کھنہٕ گرٕ کھٕنۍ لگنۍ:-۱۔ سخ زُکام آسُن۔ ۲۔ (ورگہٕ) کأٹھہٕ کام نہٕ انٛد نہٕ کِنۍ وَدِنس کھسُن۔ کامہٕ ہُنٛد ژوٚر بار پٮ۪نہٕ کِنۍ تھٕکی کِنۍ یُن۔ کامہٕ چار ووتھنہٕ کِنۍ کأٹھہٕ اتھ وَتھہٕ نہٕ ہنۍ۔

کھنہٕ لوٗژھ:- پکہٕ وَٹہٕ ؤژھمِژ وار یاہ کھنۍ۔ نستہٕ اوٚیزان کھنہٕ بڑوٗٹ۔

کھنہٕ لوٚپُن:-۱۔ یُس ژٕر کھنۍ آسہِ وَسان۔ یُس چوٚنٛژھ کھنہٕ سٟتۍ بُرتھ آسہِ۔ ۲۔ کھنہٕ ڈیر۔

کھنہٕ موٗت:- سُہ یُس یٚژ پأٹھی کھنۍ آسہِ وَسان۔

یَس سارٕ ی ہے چانٛس کھٔنۍ مُتھتھ آسہِ۔

کھِنہٕ نکوور:۔۱۔یَس نٔستہِ ہُنٛد اَکھ لَڈ کھِنہٕ بُرتھ آسہِ۔ ۲۔(ورگہِ پأٹھۍ) یُس نہٕ کُنہ لگہِ۔ گنٛدٕ تہٕ نالگہِ ہار۔

کھِنہٕ نوٚس:۔۱۔سُہ شُر یَس نٔستہِ منٛز کھٔنۍ آسنہِ کِنۍ شرٛ وٚنو شرٛ وٚنو گرٛھان آسہِ۔ ۲۔گنٛدٕ تہٕ بد عادتھ شُر۔ سُہ یُس صاف روزان آسہِ نہٕ۔ ۳۔بےٚ وٚطیر۔

کھِنہٕ نوٚ گُر:۔یَس نکوارن منٛز کھٔنۍ آسنہِ کِنۍ شرٛ وٚنو شرٛ وٚنو گرٛھان آسہِ۔

کھٔنۍ کڈٕنۍ:۔نَس صاف کرٕنۍ نَس دِنۍ۔ نٔستہِ منٛز مواد لُمتھ کڈُن تہٕ نیبر ترٛاوُن۔

کھٔنۍ کرٕنۍ:۔۱۔خجل کرُن۔ شرمنٛدٕ کرُن۔ ۲۔برس کرٕنۍ۔

کھٔنۍ کھسٕنۍ:۔۱۔(ورگہِ) ژکھ کھسٕنۍ۔ شرارتھ کھسُن۔ ڈیکہِ چارُن۔ وِژہہ لدٕنۍ۔ ۲۔فترتھ کھسٕنۍ۔ ودنس کھسُن۔ مَنَس کھسٕنۍ۔

کھٔنۍ گرٛھنۍ:۔۱۔(لوٚکن منٛز خجل گرٛھن۔ (ناکامیأبی کِنۍ)۔ ۲۔کھأرس یا گوجہِ ہیترٕ دبلس منٛز موٚٹ آب بٕنُن۔ یتھ پتہٕ گوٚج چھےٚ بنان۔

کھٔنۍ وٕسنۍ:۔کانٛہہ کام اندوانتاونس منٛز سختی ہنۍ۔ بداوسُن۔

کھٔنۍ وو تھرٕنۍ:۔وُچھو "کھٔنۍ کڈٕنۍ"۔

کھٔنٛز:۔[ن۔موٗل: کھٔنٛز]۔۱۔تمہِ تیرٕ یمہِ پچھنس ہیترٕ لُمتھ کڈنہٕ آسن آمٕژ۔ ۲۔(ورگہِ پأٹھۍ) پیٹھی وأنۍ پأنسہِ، رَشوٕ، کوٚژھ۔ ۳۔نبتھ۔

کھٔنٛز کوگُر:۔(ورگہِ) بےٚ شوٗب۔

کھٔنٛز گوٚر:۔یُس کوٚژھ ہوان آسہِ۔ یُس رَشوٕ آسہِ رٹان۔

کھٔنٛز گوٚر:۔یُس کوٚژھ ہوان آسہِ۔ یُس رَشوٕ آسہِ رٹان۔

کھٔنٛز بٕنُن:۔رَشوٕ بٕنُن۔ کوٚژھ بٕنُن۔

کھٔنٛز رٹُن:۔رَشوٕ سوٗ مبرٕ ن۔ گرٛھی دِپار سوٗ مبرٕنۍ۔

کھٔنٛز کرُن:۔(ورگہِ) رَشوٕ ہیوٚن۔ پیٹھی وأنۍ پأنسہِ کڈُن۔ کوٚژھ ہیوٚن۔ مُہتھ ترٛاوُن۔ زِج لاگُن۔

کھٔنٛزٕ ن:۔[ن۔موٗل: کھٔنٛز]۔۱۔تیرٕ لُمتھ کڈنہٕ۔ تیرٕ لُمتھ وأسراونہِ۔ (پچھنس ہیترٕ)۔ ۲۔وال موٗلہِ کڈٕنۍ۔ ۳۔(ورگہِ پأٹھۍ) سخ اُڈزاُڈ کرٕنۍ۔

کھٔنٛزتھ ترٛاوُن:۔۱۔(ورگہِ) سخ اُڈزاُڈ کرٕنۍ۔ ۲۔(ورگہِ) کینٛہہ لور نہٕ تھوُن۔ سوٗرے مُہتھ نیُن۔ کانٛہہ گذارٕ نہٕ تھوُن۔ نوٗنے تہٕ چھوٚنے ترٛاوُن۔

کھٔنٛز مُت:۔۱۔یَس تیرٕ لُمتھ کڈنہٕ آسن آمٕژ۔ ۲۔(ورگہِ پأٹھۍ) نوٗنے تہٕ چھوٚنے۔ پرٛتھ کُنہِ نِشہِ موکلاوِتھ تھوٚو مُت۔

کھٔنٛز مُت کوگُر:۔۱۔یَس ہُتہِ ہیتہٕ تیرٕ کھیٚش ژٕٹتھ آسہِ نیمٕژ یا کڈٕ مٕژ۔ ۲۔(ورگہِ پأٹھۍ) یُس نوٗنے تہٕ چھوٚنے آسہِ۔ یَس نالٕ پلوتہٕ آسہِ نہٕ۔

کھٕہہ:۔[ن۔موٗل: کھٕہہ > س: کھش]۔ زِل۔ موموٗلی خراش۔ موموٗلی ژٕبھ۔ لوگٹ۔ چھوکھ۔

کھٕہہ لَدٕ:۔یتھ زِل آسن لگٕمٕژ یا ژٕبہِ لجہ مٕژ آسن۔

کھٕہہ دیُن:۔زِل دیُن۔ زِلُن۔ موموٗلی ژٕبھ دِنۍ۔

کھٕہہ لگُن:۔زِل وسُن۔ ژٕبھ لگٕنۍ۔ موموٗلی چھوکھ لگُن۔

کھُہن :-[ن۔مؤل: کھہ]۔۱۔کھہ دیُن۔زِلُن۔
۲۔ددارِ واتناوُن۔نوقصان واتناوُن۔
کھُہن وول :-(ورگہٕ) سُہ یُس زَکھ واتناوِنس پتے آسہِ۔یُس نٕیری کَنہٕ دوٗستی آسہِ ہاوان مگر أندرِ أندرِ آسہِ زَکھ واتناوان۔
کھُہنَنس روزُن :-زِلنس روزُن۔نوقصان واتناوُنس پتے روزُن۔دَدارِ کرنس پتھ آسُن۔کُنہِ پأٹھی نوقصان واتناونچ کوٗشش کرٕنی۔
کھنکھ :-[م۔مؤل: کھنکھ]۔۱۔نستہٕ کنہٕ درامٕژ کتھ۔
۲۔ژکھ۔شرارتھ۔۳۔روبہٕ داب۔نس۔
کھنکھ کرٕنی :-سیٗزگتھ نہٕ کرٕنی۔روب کرُن۔
کھنکھ کھسٕنی :-۱۔نس کھسٕنی۔شرارتھ کھسُن۔ژکھ کھسٕنی۔۲۔خوش نہٕ یُن۔
کھنکھ ہیٚنی :-۱۔نس ہیٚنی۔اُڈزاُڈزالنی۔روب داب دبتراوُن۔۲۔نبتھ ہیٚنی۔
کھنکھ :-یُس نستہٕ کنہٕ آسہِ نیران۔م: کھنکھ۔
کھنکھہِ پوٹار :-سویُس کھنکھ کتھ آسہِ گوٚھان۔
یُس نستہٕ کنہٕ کتھ آسہِ نیران۔(ہبڈٕنہٕ کنہٕ کأنسہِ زنانہٕ وَنان)۔
کھنکھ گرٕدھن :-کتھہِ کھنکھر گودھن۔
کھنکھہِ نس :-یُس نستہٕ کنہٕ کتھ آسہِ نیران۔
کھنکھر :-کھوٗنکھ آسٕنچ حالتھ۔کتھ نستہٕ کنہٕ نیرٕنی۔
کھنکھر دار :-یُس آوازٕ ژھاہ کھنکھر آسہِ۔کھنکھرٕ سان

کھُت :-[ن۔مؤل: کھُت]۔تھوتھ، کھٕنچ۔
کھُتنی :-[مؤل: کھُتنی < س: کھَنَتِ]۔۱۔شُری سٕنز بٔلی ہُتھ یتھ تھچھ دِنی۔۲۔وُٹھ پھسرارے۔
کھُتنی کھُتنی کرٕنی :-۱۔کأنسہِ ہندِس مَنس تچھُن تہٕ تچھُن۔۲۔زپرزپر کرٕنی۔
کھُتُن :-[مؤل: کھُت < س: کھِنَتہ]۔۱۔(ورگہٕ) کھٔنی کھٔنی کڈُن۔پَے کڈُنہٕ باپتھ بیٚنہٕ تہٕ بیٚنہٕ پرٕ ژھُن۔۲۔پھاس تژاوُن۔
کھُت کھُت :-۱۔گگرِس بیترِ سٕنز کأنہہ چیز دَندو سٕتی ژٕنچ یا کٕنچ آواز۔۲۔کنہٕ پھسرارے۔لوتہٕ لوتہٕ کتھ۔
کھُت کھُت لاگُن :-۱۔کنہٕ پھسرایہٕ نہٕ تھچھے ٹٔنی۔
۲۔اوٗرِ زیرا زیرا دِنی۔
کھُچلی :-[ن۔مؤل: کھُچل]۔تھوٚ دوٚ سٕنی جنگلی گاسہٕ یتھ پوش چھِ پھولان۔
کھُرا :-[ن۔مؤل: کھُر]۔۱۔شرُک۔۲۔پٔنس بیترٕ، یتھ پأٹھی بزے ہنی یتھ نہٕ ٹلُنے یا ڈیٚنجہٕ پٹھ پھرنے ییہٕ۔۳۔(ورگہٕ پأٹھی)(کُنہِ کارس بیترٕ) سیتھ، روٚٹ۔ہوٚدٕہُر۔ٹھوٚنٹھ۔وکانہٕ ووٚش۔
کھُرِس پٹھ کھُر :-اکِہ مُشکلہٕ پتہٕ بیا کھ مُشکِل۔
یکوٚتہٕ سبٹھاہ کھُری۔
کھُرِس منٛز اَژُن :-کُنہِ نٕیالیس منٛز دَخل دیُن۔
کُنہِ تتھس کارس تَن دِنی یتھ نہٕ سبزر آسہِ۔
کھُرِس منٛز یُن :-کُنہِ نٕیالیس بیترٕ منٛز بے خبر پأٹھی

ہہنہٕ یُن۔ کُنہِ وُلتہٕ کامہِ منٛز بے شۆنکی پأٹھی پھٔسُن۔

کھٔری دار:-۱۔سُہ ماملہٕ یا کتھ یَتھ سبزر آسہِ نہٕ۔ وُٹھتھ پیچید۔۲۔ہۆل فِترٕ ژلد (انسان)۔

کھٔری کانٛگر:-یِتھی شٔرکہ تہٕ گنڈ یم نہٕ ہٕری تھے ہہکن۔ تِتھ کھٕریُس کڈُن مُشکل آسہِ۔ پۆتُس پتھ رٔژی تہٕ رُکاوٹہٕ۔

کھٔری کانٛگر اَنٛنی:-کُنہِ ڈٔنجہِ نہٕ تھٔون، تِتھ کھٔر اَنُن یُتھ اصل کھٔر کڈُنس وَتھے روزِ نہٕ۔لانٛج اَنُن۔

کھٔری کھار اَنٛنی:-سَخ فِتر تھ اَنٛنی۔

کھٔر کھوکھس:-(ورگہٕ) سیٹھاہ خوش کبتھ۔ منٛگہٕ دٔگ۔

کھٔری لد:-۱۔یَتھ کھٔر آسہِ آمت۔یَتھ سبزر آسہِ نہٕ۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) تناز دار۔ پھٔچکل۔ یُس پٔرتھ جایہِ نِیاے زٕوورِ۔۳۔(ورگہٕ پأٹھی) سُہ یُس پٔرتھ وِزِ لانٛج تہٕ لُٹی آسَن یوان۔ یَس نہٕ زانٛہہ سبد تھ آسہِ گژھان۔

کھٔری ناو:-وُچھِو "کھٔری کانٛگر"۔

کھٔری ناو تُلٕنی:-پٔرتھ اَنٛدٕ اعتراض تُلٕنی۔ پٔرتھ کتھِ کتھ کڈٕنی۔ پَزِ نہٕ پٔٹھی سیٹھا اَنٛنی۔ سیدٕ اُستھ تہٕ کھوکھس لارُن۔

کھٔری ناو ہٕنی:-سَخ سیٹھا ہٕنی۔ سَخ مُشکل بُتھ یِنی۔ تِتھ کھٔر یُن یَتھ نہٕ پۆشتھ ہیکی ژٕ۔

کھٔر اَژُن:-۱۔پَنٕس بیترِ شٔرکی گژھنی۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) کُنہِ کامہِ کارس بیترِ ٹھۆنٛٹھ ہٕنی۔ رۆٹ گژھُن۔

کھٔر اَنُن:-۱۔پَنٕس بیترِ شٔرکی کرٕنی۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) زورٕ سیٹھا اَنٛنی۔ زورٕ ٹھۆنٛٹھ اَنٛنی۔۳۔کینٛہہ تِتھ کرُن ییٚہ پتہٕ زٕنگن وَلنہٕ یِیہِ۔

کھٔر تُلُن:-نِیاے زٕوو راوُن۔جگرٕ وُزناوُن۔

کھٔر زٕوورُن:-لانٛج نۆو وراوُن۔

کھٔر ژٕھنُن:-کارٕ بارس بیترِ ٹھۆنٛٹھ اَنٛنی۔ رُکاوٹھ پأدٕ کرٕنی۔ تِتھ کینٛہہ کرُن ییٚمہِ سٕتی کتھ زِٹھِ۔

کھٔر کڈُن:-۱۔پَنٕس بیترِ گاٹٕی شٔرکی مُو راوٕنی۔ ۲۔(ورگہٕ پأٹھی) سبزر کٔرِتھ دیُن۔ جگرٕ بیترِ اُنزراوُن۔

کھٔر کاسُن:-وُچھِو "کھٔر کڈُن"۔

کھٔر وُزناوُن:-نِیایُس زہر دِنی۔ نٕوِ سٕر فساد تُلُن۔ رٔتہٕ کتھ وَنٛنی ییٚمہِ سٕتی جگرٕ ووتھِ۔ مُشکل پأدٕ کرٕنی۔

کھٔر ووتھُن:-نِیاے زیٚوُن۔ فسادس زہر لگٕنی۔ لڑایہِ وُتش لگُن۔

کھٔر یُن:-۱۔پَنٕس بیترِ شٔرکی گژھنی۔۲۔(ورگہٕ پأٹھی) کامہِ کارس سیٹھا ہٕنی۔ کینٛہہ تِتھ کرُن۔ ییٚمہِ سٕتی رُکاوٹھ گژھِ، ٹھۆنٛٹھ یِیہِ۔۳۔(کینٛہہ) مَٹہٕ کھٔسُن، پِیترُن پیٚوُن۔۴۔وَلنہٕ یُن۔۵۔پھٔسُن۔

کھٔر۲:-[ن۔مۆل: کھٔر]۔گاڈٕ رَٹنُک وول۔ بسلاے۔

کھٔری زال:-اَکہِ قسمُک گاڈٕ زال۔

کھٔری والہٕ وأش:-جاناوار رَٹنہٕ خأطرٕ اَکہِ قسمُک

زال یا پنٛزٕر۔ اکھ قسمٕک زال یمہِ ستۍ شکارٕ شکار چھ رٹان۔

کھُرا:-[ن۔ مۆل: کھُر < س: کھُر]۔ پھہُر۔ سۆتُر یا پشُل نہٕ۔

کھُر دۆج:-سولیکھن پٹ یتھ کھُر آسہِ ؤژھمٕژ۔ یتھ مشکہِ پچہ پھُہر یر آسہِ گومُت۔

کھُر۲:-گاڈٕ رٕنٛج وأنٛکی رز۔ گاڈٕ زال۔

کھُر کھُر:-ا۔ کُنہِ تمہِ چیزٕچ گل یُس اَتھس منٛز یِیہ نہٕ۔ ابلاش۔ کل۔ اَمار۔۲۔ دَزٕ بُزٕ۔ تکبُر۔

کھُر کھُر آسُن:-دَزٕ بُزٕ آسُن۔ تکبر آسُن۔

کھُر کھُر کاسُن:-ا۔ ارمان کڈُن۔۲۔ بول بجائُن۔

کھُر کھُر لگُن:-تمبلُن۔ کل گَنٛنۍ، کانٛہہ چیز بیترٕ اَتھس منٛز اَنہٕ باپتھ سٕنٛز کرُن ہیُن۔ کیٛنٛہہ کرنہٕ باپتھ ووٚتھ ووٚتھ کرٕنۍ ہیٚنٛز۔

کھُرلی:-[م۔ مۆل: کھُرِل < م:ہ: کھُرلی]۔ ننٛگے۔ گانس منٛز سو جاے یتھ منٛز چاروٲین گاسہٕ بیترٕ ترٲوان چھِ۔

کھُسرِ پھُسرِ:-کُنہِ پھسر ارے۔ سۆسرِ گۆسرِ، ژٕوِیہ سأزی شہِ۔

کھُلہٕ:-[ن۔ مۆل: کھُل < مُ + ہ: کھُلا]۔ ا۔ کھۆل۔ گلہِ بۆڈ۔۲۔ ڈیۆل۔ مُسٕتھ۔۳۔ ؤسی گُشادٕ۔۴۔ موکُل۔ یلہٕ۔۵۔ کھۆلِتھ۔ موہر بند نہٕ۔

کھُلہٕ پأٹھی:-کُنہِ رُکاوٹہٕ ورأے۔ تھوسہٕ دوسہٕ روٗس کانٛہہ والہٕ برنہٕ روٗس۔

کھُلہٕ ڈُلہٕ:-گُشادٕ۔ تنٛگ نہٕ۔ ؤسی۔

کھُلہٕ کھاتہٕ:-سُہ کھاتہٕ یتھ نہٕ حسابے آسہِ۔ یتھ نہٕ پرٛژھ گأرے آسہِ۔

کھُلہٕ کھاتہٕ بوٗزُن:-بےٚ والہٕ تہٕ بےٚ حسابہٕ خرٕچ کرُن۔ بےٚ سٕنٛد پأٹھۍ تِتھہٕ پأٹھۍ خرٕچ کرُن یُتھ باسہِ زِ روپیہ بیترٕ چھےٚ ؤے آمٕژ۔

کھُلہٕ کھاتہٕ زانُن:-بےٚ والہٕ دوزُم تلُن۔

کُھلہٕ کُھلہٕ:-گُشادٕ گُشادٕ۔ ترٕوٕہر گرِتھ نہٕ۔ دۆر دۆر۔

کھُلہٕ مال:-تم دیار یم پیٛٹھۍ وأنۍ ہَنٛن۔ رَشوکۍ دیار۔

کھُلہٕ راوُن:-[ن۔ مۆل: کھُلہٕ راو]۔ا۔ گُشادٕ کرُن۔ ۲۔ مُژراوُن۔ ڈیۆل کرُن۔

کھُلُن:-ا۔ کھولنہٕ یُن۔ مُژراونہٕ یُن۔۲۔ یلہٕ گژھُن۔ وَہراونہٕ یُن۔

کھُہہ پاے:-بأنٛکی وَتھ۔ وَنہٕ منٛزی سو وَتھ یتھ کُنٛڈی تہٕ زہریلہٕ کیٛنٛژ جالہٕ آسن۔ کڈٕر تہٕ کرٕژھ وَتھ۔

کھۆپرٕ:-[ن۔ مۆل: کھۆپر < س: کھرپَر]۔ رٕجیل۔ سُہ موہُس نار جیل گلس وَسان چھُ۔

کھۆرا:-[ن۔ مۆل: کھۆر < س: کھُر]۔ چار پایہِ، کچھ بیترٕ ہنٛز زَنٛگ، ڈَکھ۔

کھۆر:-[ن۔ مۆل: کھۆر < س: کُشرا (کُنزا)]۔ (شراک پچ چالہٕ) مَس بیترٕ کاسنٕک اَکھ اوزار۔

کھۆرپٹھرُن:-کھۆرِس تیٖزی کرٕنۍ۔ کھۆرِس کھُہر بٕنۍ۔

کھۄر کرُن :- کھورِ ءتی سوٗرے مَس کاسُن ۔ کھورِ ءتی مؤلہٕ موٗنجہِ مَس کاسِتھ ژھۄنُن ۔

کھۄر ۳:- [م ۔ مؤل: کھۄر < س: کھرَ ] ۔ ژٕ ٹنس بون کُنِ کھورُک پٔتیم پاس ۔

کھۄری ہجر :- ا ۔ سُہ ہجر یُس پاین پٔتھ آسہِ تہٕ پاے آسنس ٹلِو ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پٲٹھی) وٕ ے ٹونڈٕ پٲٹھی ۔ وُلٹہٕ پٲٹھی ۔ یُس نہٕ کُنہِ کِنی آتھی واتٕنۍ یُن لایق آسہِ ۔

کھۄرِ کرٕنی :- گُرِس ہیتٕر سوارِ کھُسِتھ کھوروٕ ءتی زبر دِنی ۔

کھورِ چھنہِ :- (ورگہ ) سختی واتنہٕ کِنی ژٕ ژنگ دِنی ۔ دَگ دوو آسنہٕ کِنی ژھرٕ ٹھ ژھرٕ ٹھ کرٕنی ۔

کھورِ رَز :- پُلہارِ ہیتٕر چ رَز یوسہٕ کھورِ پٔیٹھی کِنی تأرِتھ گنڈنہٕ چھےٚ یوان ۔ یتھ کھور بانہٕ کھورس مٔنز زورٕ بنٛد روزِ ۔

کھورِ گوٗمُت :- سُہ بوٗٹ ہیتٕر یتھ کھورِ گجہِ مٔنز آسن ۔ کھور بوتلہٕ گسہِ آمُت کھور بانہٕ ۔

کھورِ ہوٗل :- یُس کھور پھٔرِتھ آسہِ ۔

کھۄر ۴:- [ن ۔ مؤل: کھۄر ] ۔ ناوِلمنٛگ پانہٕ وُتھر چالہِ پٲتر گُرِتھ اَکھ ہچو سامانہٕ ۔

کھۄر ۵:- [ن ۔ مؤل: کھۄر ] ۔ کھۄر یومُت ، کھوٗژمُت ۔ کاٹنہٕ ئیومُت ۔ اٲہرٕ ئیومُت ۔

کھۄری ہٹ :- [م ۔ مؤل: کھۄرِ ہچ < س: کُشٹ + یشٹہِ ] ۔ چھانہٕ سُندٕ اکھ خاص ہتھی یار ۔ یمہٕ ءتی سُہ کوٗنٛن سبز رچھٕ وُچھان ۔

کھۄستے :- ءکھسنُی نہٕ کینٛہہ ۔ مِ :مۄ دتہٕ کھۄستے ۔

کھۄل :- [ن ۔ مؤل: کھۄل ] ۔ گُرُٹ پونی ۔ اُڈٕر ۔

کھۄنت :- [ن ۔ مؤل : کھۄنت < س: سکھلنہ ] ۔ ا ۔ کھورُک یا کھور بانہٕ ٹینڈ یُک ٹاس ۔ ۲ ۔ کھور ٹینڈی کُنہِ ءتی چھاونہٕ یِنی ۔

کھۄنتِس پٔٹھ کھۄنت :- مُصیبتس پٔٹھ مُصیبتھ ۔ مُ: دَبس پٔٹھ درٕس ۔

کھۄنت کڈُن :- کھورِ ٹینڈ بوٕ ءتی کھور بانہٕ ءتی ٹھونچہِ دِنہٕ ۔

کھۄنت گھیوٗن :- ا ۔ کُنہِ ءتی چھاونہٕ یِنہٕ کِنی دَب یا چھوکھ لگُن ۔ ۲ ۔ (ورگہٕ پٲٹھی) کانٛہہ مُصیبتھ یُن ۔ کُنہِ رَنگہٕ کینٛہہ تکلیف واتُن ۔

کھۄنت لگُن :- کھورِ ٹینڈی کُنہِ ءتی چھاونہٕ یِنہٕ ءتی دَب یا چھوکھ لگُن ۔

کھۄنتن تل جان ہیوٗن :- پھنچہٕ دِ دِی زوٕ ہیوٗن ، بے دردی سان مارُن ۔

کھۄنتن گنڈُن :- پوٗتس پتہ کھۄنتی دِنی ٹھونچہ کڈنہِ ۔ (ورگہٕ پٲٹھی) کُنہِ لایق نہٕ تھاوُن ۔

کھۄنکھ :- [ن ۔ مؤل: کھۄنک < آوازِ پٔٹھ ] ۔ یُس اُستہِ کِنی کنھ آسہِ نیران ۔ کھنکھ ۔

کھۄب :- وُچھو "کھرٕ ۄب" ۔

کھۄت :- [ن ۔ مؤل: کھت < س: کھاتہ ] ۔ ا ۔ طاقچ ۔ اکہِ قسمُک گچھنہٕ ۔ بانہٕ ہیتِر تھونہٕ باپتھ شِلپھ ۔

۲۔ کھٹٕتھ جاے۔۳۔ناوِہُند مُنز یُم حِصہٕ۔

کھٹِی بَتہٕ :-(ہزلِہ) ژۄ رِژۄ رِدِنہٕ آمُت سال۔سُہ سال یَتھ منز پُرٕھی ژۄ رِژۄ ر کھیاونہٕ ییٚن۔

کھٹِی باگے :-ا۔مکانس ہیٚتر گنڈنہٕ آمٕتی لوٕکٕٹ لوٕکٕٹ کُٹھی ۲۔ پڑھٕنن ہیٚترِ الگ الگ کُٹھٕن منز بٔتہٕ دِینٕ۔

کھوٚتمٕت :-ا۔ کُنہِ تھَز جایہِ وۄتمُت ،موٹیومُت ۔ ۲۔تیار گومُت،کھیٚون لایق (آنچار ہیٚترِ) گومُت۔۳۔ زامُت ، یَتھ کوٚٹ پھوٚٹمُت آسہِ (ہیٚول ہیٚترِ)۔۴۔ کِبر یا اَہنکار گومُت۔ م:اُمس چھُ نٕٹے کھوٚتمُت۔

کھوتہِ کرُن :-ا۔تل کُن دِینٕ۔نوٚن نہٕ نیرنہٕ دِینٕ۔۲۔اُستھ کُرتھ نہٕ کُنہِ لایق تھوٗن۔ راوُن۔ ضایہ کرُن۔

کھوتہِ گژھُن :-ا۔تل گژھُن،تل کُن لگُن۔ ۲۔کانٛہہ شوٗب نہٕ روزٕنی۔لگہِ ہار نہٕ روزُن۔ ۳۔ وَٹھ نہٕ یُن (کُرتھ کرٕاُتھ)۔

کھوتہِ گومُت :-ا۔ستیمالس لایق نہٕ روٗدمُت ، خراب گومُت ۔۲۔ یَتھ یا یَس کانٛہہ شوٗب روٗزِتھ آسہِ نہٕ۔راونہٕ آمُت۔

کھوٚٹ :-[ن۔موٗل: کھٹ <س: کوٹہ ]۔ا۔سُہ پأنسہٕ یُس چلُن لایق آسہِ نہٕ۔۲۔ناصاف،یَتھ تَل مِش آسہِ (داتھ ہیٚترِ)۔۳۔یُس دِلہِ کِنۍ صاف آسہِ نہٕ۔بد نیتھ ۔۴۔لُٹہ ژوٚٹ ۔لَٹہِ وراُے (چاروٚوے ہیٚترِ)۔۵۔(ورگہٕ پأٹھی) بےٚ شوٗب۔

کھُٹٕ کرٕنی :-ا۔ژۄ رِژۄ رِ سوٚمبراوُن۔یَتھ پأٹھی پأنسہٕ ہیٚترِ سوٚمبراوُن یِتھ باقین خبر لگہِ نہٕ۔ ۲۔کأنٹُن ۔کم کرُن۔باقین کأنٹٕتھ سوٚمبرُن۔

کھوٚٹ باپار:-اَپزٕ یُک باپار یا وَرتاو۔

کھوٚٹ بازر:-سو جاے ییٚتہِ کانٛہہ چیز بنہٕ وُن آسہِ نہٕ۔یَتھ جایہِ چیزن ہنز وبڑھے آسہِ۔

کھوٚٹ کرُن:-پأنسہٕ ہیٚترِ چلُن لایق نہٕ تھوٗن۔ خراب کرُن۔

کھوٚٹ گژھُن:-ا۔ کانٛہہ سِکہٕ ہیٚترِ مُروَج نہٕ روزنہٕ کِنۍ نالگہِ ہار گژھُن۔پأنسہٕ ہیٚترِ کسہٕ ہیٚترِ بنہٕ کِنۍ چلُن لایق نہٕ روزُن۔۲۔ بدشِکل گژھُن۔کوودر گژھُن۔۳۔(کانٛہہ چیز ہیٚترِ) ہاوُن لایق نہٕ روزُن۔

کھوٚٹ گوٚمُت:-ا۔لَتہِ نِشہِ گومُت۔یَس لوٚٹ آسہِ نہٕ۔۲۔بےٚ شوٗب گومُت۔کوودر گومُت۔

کھوٚٹمُت:-ژۄ رِتھوٚومُت ۔ دبوومُت ۔ اَصلیچ باوَتھ نہٕ کُرمِژٕ آسٕنۍ۔

کھوٚٹ والُن:-روٚکھس منز کھوٚٹ سِکہٕ پکہٕ ناوُن یا چلاوُن۔

کھوٚچ:-[ن۔موٗل: کُچھ ]۔ا۔پَتہِ وراُے ناویوسہٕ بورسارُنس لگان چھےٚ تہٕ بہِو کھوتہِ لوکٕٹ آسان

چھےٚ ۔لوٗنہٕ ہُنٛد پاٗٹر ۔پھلہٕ وراٗے لوٗن۔

کھوٚچ گگٕر :-اَکھ گگر ذاتھ یتھ لوٗٹ ژھوٚٹ چھُ آسان۔

کھوٚچوٗری :-اَکہِ قِسمُک ٹھیلہٕ یتھ منٛز روپیہٕ یا زر زیور بیترِ اورِ یور ساران آسی۔

کھوٚچوٗرِ برَنہٕ :-۱۔ واریاہ پاٗنسہٕ ٹوٗنک بچاوُن۔ پاٗنسہٕ ٹوٗنک پَلہٕ پسنداز تھاوُن۔۲۔لۭژھجو دیار ڈیٗنی ۔گٔنٛل پاٗنسہٕ زیٚنُن۔

کھوٚڈ:-[ن۔مؤل: کھڈ >پرٛاکرت: کھڈ]۔ زَنانہٕ ہنٛز سَترٕ چ جاے۔

کھوٚرا:- [ن۔مؤل: کھر ر >س: کھٹہ]۔ اَکہِ قِسمُک گاسہٕ یُس نمبلن بیترِ وُہ ٚنز کھسان چھُ۔

کھٔری پچ :-۱۔بڈ ڈاءکر یتھ منٛز کھوٚراورِ یورٹلان چھِ تہٕ آب چھُس پشپاونہٕ یوان۔۲۔ تیٚوٗت کھوٚریوٗت اَکِس پچہِ واتہٕ۔

کھٔری نل:- کھٔری گاسُک دَن یتھ ذٕ چھٕنہِ کھوڑری وِتھر چھِ نیران۔

کھوٚر۲:-[ن۔مؤل: کھر >س: کھلواٹہ]>س: کھر]۔ ۱۔سُہ یَس کلَس گرمی یا کھشُر آسہِ۔یَس کھُر آسہِ۔ یَس کلس مَس آسہِ نہٕ۔۲۔رانٛڈ۔ناشاۓستہٕ۔

کھرِ پرمانہٕ:-بدال،شیطان۔

کھرِ کلہٕ :-۱۔یَس کھرِ کلہٕ وۆلُمت آسہِ۔۲(ورگہٕ پاٗٹھی) سُہ یُس گنہٕ چکارَس آسہِ نہٕ۔

کھرِ مشران :-سَخ رٕ ذیل۔

کھٔر راج:-رٕ ذیلن تہٕ کمینن ہنٛز حکوٗمَتھ۔

کھٔری گی :-۱۔ راٗنڈِل۔۲۔رذالتھ۔

کھوٚر۳:- [ن۔مؤل: کھر ]۔ دانٛہس شےٚ ژاکھ یا کانڈس زٕ ژرٕ۔

کھٔری مانگے :-گامن منٛز طاۓفہٕ دَرَن ہُنٛد زٔمیٖنداران نِشہٕ گاسہٕ دانہٕ بیترِ سوٚمبراوُن۔

کھوٚر۴:-[ن۔مؤل: کھر >ن: کھرٕ]۔ژوٚنٛٹن ہُنٛد اکھ قسم۔

کھرِ گجہِ اَمبری پیوٚند :-تہٕ ذٕ پتھ گو ہٹہٕ ہٹہٕ یاٗری بَنہٕ کنٛز دبماغ کھسُن۔ کینٛہہ تیٚتھ سپدُن تیٚچ نہٕ ووٚمید ے آسہِ تہٕ تمہٕ کنٛز تکبر گوٚژھن۔ کاٗنسہٕ پزنہٕ پیٹھی کینٛہہ یاٗری ہیٚنٛز۔

کھوٚش :-[مؤل: کھش >س: کھرو]۔یُس یژٕ پاٗٹھی کھووٗراتھ استیمال کران آسہِ۔یَس کھووٗرٕ آسہِ۔

کھوٚش اَتھس کٔبتھ جواب کرُن :-صاف انکار کرُن۔مؤلہٕ انکار کرُن۔

کھوٚش اَتھ :-کھووٗراتھ۔

کھوٚش پو :-یَس کھووٗرِ اَتھہِ کاٗم کرنس ہاٗل آسہِ کھووٗرِس اَتھس ژوٚر طاقتھ۔

کھوٚش داٗنی رَنٛن تہٕ دُٕکری واٗنی کھیوٚن:- تہٕ ذٕ پتھ گو، حرامُک مال بےٚ دٕ ٹھپر پاٗٹھی ورتاوُن۔ گنٛدِ پاٗٹھی رَنٛن تہٕ کھیوٚن۔

کھوٚش کھووٗر :-۱۔ذٕ چھٔنیک کھووٗرِس تہٕ کھووٗریک

ڈیچھنِس۔اَدلہٕ بدَل۔۲۔(ورگہٕ پاُٹھی) تچھ دِتھا وٚنمت۔ژوٚرا وٚنمت۔

کھوٚچ گگرٕ:۔ا۔پھِرِتھ طرفہٕ۔۲۔وُلٹہٕ،وُٹگر۔

کھوٚش وٗرٕ:۔وِچھو"کھوٚش وَرٕ"۔

کھوٚکھ:۔[ن۔موٗل: کھوٚنک <س: کھشہ/کھرکھوڈ] ا۔کھُکھی ذاُژہُنٛد۔۲۔سُہ یَس کھوٚژی زِ۔یُسٕنٛد روب آسہِ۔۳۔روب۔ڈَر۔وَہَم۔مُنز۔م: کھوٚکھ آسُن۔۴۔جانورن ژُلراونہٕ تہٕ کھوژناونہٕ باپتھ زَچَن ہُنٛد بنومُت اِنسان۔

کھوٚکھ آسُن:۔روب آسُن۔ہاُبتھ آسُن۔روٹ آسُن،ٹھوٚرا آسُن۔

کھوٚکھ تھوٗن:۔کھوژناوِتھ تھوٗن۔یَس تل تھوٗن۔

کھوٚکھ ہاوُن:۔کھوژناوُن۔روب تھوٗن۔کانٛپہٕ ناوُن۔

کھوٚل ا:۔[ن۔موٗل: کھُل <م۔ہ: کھُلا]۔ا۔زیٛتھِ پہا۔کُشادٕ۔۲۔موٗراُوِتھ۔۳۔گلہِ بوٚڈ۔

کھوٚل ۲:۔[ن۔موٗل: کھوٚل]۔زونہٕ باپتھ تھونہٕ آمُت رَبہٕ ڈیر۔

کھوٚن:۔[ن۔موٗل: کھَن]۔واریاُٹھی وُلتھ۔جان پلو وَلولاُ رُگتھ۔یَس جان پوشاکھ آسہِ۔

کھوٚنی کل:۔کھونہٕ وَٹہٕ ستی دَکہٕ۔کُنہِ کتھِ ہنٛز ژینہٕ وَن دِنہٕ باپتھ کھونہٕ وَچھ زیر۔

کھوٚنی کل دِنی:۔ا۔کھونہٕ وَٹہٕ ستی زیر دِنی۔۲۔(ورگہٕ پاُٹھی) ژینہٕ وِنی دِنی۔

کھوٚنٛد:۔[ن۔موٗل: کھوٚنٛد <س: کھنتہ]۔ا۔دوب۔لوکُٹ کھوڈ۔۲۔ٹھوٚنگر۔کھور کُنہِ ستی ٹھاسنہٕ یا چھاونہٕ یُن۔کھوٚنٛت۔۳۔مُصیبتھ،تکلیف۔۴۔چھوکھ۔زَخم۔۵۔واریاہ سبٹھاہ۔پرٛنہٕ پیٹھی،م: شینہٕ کھوٚنٛد۔

کھٔنٛدِس پیٹھ کھوٚنٛد:۔مُصیبتس پیٹھ مُصیبتھ۔پوٚتُس پتھ تکلیف یا دوکھ۔بلایہ پیٹھ بلاے۔

کھوٚنٛد پیوٚن:۔مُصیبتھ پیوٚن۔دوکھ پیوٚن۔تکلیف ژالُن پیوٚن۔

کھوٚنٛد لگُن:۔ا۔ٹھونگر لگُن۔کُنہِ چیزس ستی چھاونہٕ پنہٕ کِنی چھوکہٕ لد گژھن۔۲۔کُنہِ ستی کھور چھاونہٕ پنہٕ کِنی وُکراونہٕ یُن۔۳۔(ورگہٕ پاُٹھی) مُصیبتس منز ہینہٕ یُن۔

کھوٚنٛڈ:۔[ن۔موٗل: کھنٛڈ <س: کھَنٛڈ]۔ا۔سُہ چیز یتھ کھنٛڈ وُژھمُت آسہِ پھُٹمُت چیز،پوٚرٕ نہٕ۔اوٚرنہٕ۔۲۔سُہ یَس کانٛہہ تان آسہِ نہٕ۔لوٚن کون۔ٹنٛڈ بیترِ۔ناخیز۔۳۔کوٗدور۔یتھ بےڈول۔شٔکل آسہِ۔

کھوٚنٛڈ بانہٕ:۔پھُٹمُت بانہٕ۔سُہ بانہٕ یُس پُٹر بیترِ وۄتھنہٕ کِنی کھوٹھ آسہِ گومُت۔

کھوٚنٛڈ گژھن:۔کھوٹھ گژھن۔استیمالس لایق نہٕ روزُن۔نالگہِ ہار گژھن چھل بیترِ وۄتھنہٕ کِنی شٔکل بگرٕنی۔ناخیز گژھن۔

کھوجَر:۔[موٗل: کھوجر]۔گُرچار۔پانیُک گجر۔دالَو۔

کھوراٟ:-مُسلہٕ۔دالہٕ۔
کھورِوُسُن:-سخ مٔنجِتھ پٮ۪نٛز۔م:دالہٕ ڈٔکُن۔
کھور ۲:- وُچھِو"کھور"۔
کھورِلَد:-سُہ یُس کینٛہہ کھٕر آسہِ آمُت مُصیبتھ لَد۔
کھورُن:-ا۔کھوژُن۔کاتٕپُن۔ووٹہٕ کڈنہٕ۔۲۔تنگ ییٚن۔بِدادییٚن۔
کھورِیل:-[<س: کھٕر]۔یتھ کھورِ تھٕز آسَن۔یتھ کھٕوٗری آسَن۔
کھوژِ ناوُن:-روب ہیٚناوُن۔ہٲبتھ ژاٹُن۔ڈٔرژاٹُن۔
کھوژُن:-ا۔بیٛہ لگُن، ترٛاس کھیوٚن۔ہٲبتھ بٔہُن۔نٔٹُن۔۲۔(جِنٛس بیترِ سُنٛد) وُہمہٕ گرٕٛژھُن۔ژھاے گرٕٛژھنی،پرٛاہ گرٕٛژھُن۔تصرُف گرٕٛژھُن۔
کھٕوژی کھٕوژی:-ا۔ڈران ڈران۔نٔٹان نٔٹان۔۲۔(ورگہٕ پٲٹھی)ہراسہٕ گرِتھ جبس گرٕی گرٕی۔
کھوژِ بُڈ:-یُس سخ کھوژان آسہِ۔یُس جگرٕ آسہِ نہٕ۔لبٕڈ،بُزدِل۔
کھوژِبُڈآسُن:لبٕڈآسُن،بُزدِل آسُن۔جگرٕ نہٕ آسُن۔
کھوژِ بُڈ لاگُن:-ا۔بُزدِلہٕ سُنٛد ہیو وٕطیرٕ تھوُن۔۲۔اَکھی تھےٚ دپُن بہٕ چھُس کھوژان۔ٹٔکٕروُنُن زِ جگرٕ چھُم نہٕ دٕران۔
کھوس ا:-[ن۔مؤل: کھاس]۔ا۔داتُو پیالہٕ یتھ ژوٗک لٲگتھ آسہِ یہٕ چھُ یُتھ پٲٹھی لوٚپہٕ ہُنٛد بٔنیومُت آسان۔۲۔کترِیُو لوٗٹ ژٕکی دار تُو بُر۔۳۔تیٛوت یُت کھاسس ولتہٕ۔م:اَٹھ کھوس۔
کھاسی پیالہٕ:-لوٗٹ کترِیُو تُو بُر۔
کھاسی ژوٗک:-کھاسٕک ڈُلوم ہیٚوِہ۔
کھوس ۲:-[ن۔مؤل: کھاس]۔ا۔سوٲری۔نکھہٕ سوٲری۔۲۔(ورگہٕ پٲٹھی)بیگٲری،چیٚنٛڈ۔
کھاسِن گنٛڈُن:-اکھاکِس سوٲری ذِنُس گنٛڈُن۔
کھاسی ژھِلہٕ:-شُربن ہُنٛد لُٹھی کٕنٛجہٕ لُٹھس گنٛڈنک اکھ خاص طریقہٕ یتھ منٛز ہارَن وٲلِس ذٕرِس زیٖنَن والیٚن سوٲری دِنی چھےٚ آسان۔
کھوس دِیُن:-ا۔سوٲری دِنی۔نکھس تُلُن۔لُٹھی کٕنٛجہٕ لُٹھس منٛز ہارَن والیٚن شُربن ہٕنٛز زیٖنَن والیٚن سوٲری دِنی۔۲۔(ورگہٕ پٲٹھی)بیگٲری نکھہٕ والٕنی۔
کھوس کھسُن:-لُٹھی کٕنٛجہٕ لُٹھس منٛز مقابلہٕ جمأژہارٕ ناوِتھ تِمَن نکھہٕ سوارِ ہُنٛد شرط کھسُن۔
کھوس ہیوٚن:-ا۔نکھہٕ سوٲری ہیٚنٛز۔۲۔(ورگہٕ پٲٹھی)بیگٲری ہیٚنٛز۔
کھوسہٕ:-[ن۔مؤل: کھوس<ف: کوسہ]۔ا۔سُہ یُس سبٕٹھاہ ژٕنٛی دأر آسہِ۔یُس دأرِ آسہِ نہٕ یوان۔۲۔پھٕکی گوٚمُت۔
کھوسہٕ دأر:-مٔنٛزی مٔنٛزی دارِ والا والا۔سبٕٹھاہ ژٕنٛی ژٕنٛی دأر۔
کھوسہٕ کرُن:-ا۔کھٕژُن۔دأر ژاٹٕنی۔۲۔(ورگہٕ پٲٹھی)سوٗرے مُتھ ژٕنُن۔پتھ کُن نہٕ کینٛہہ ترٛاوُن۔
کھوسہٕ کھٮ۪ن:-ہٕش ہٕش سال۔سالَس منٛز پرٛتھ

کنٹیگ پیۆشتا کھیوٗن۔ سالس منٛز پرٛتھ کُنہِ تھپھا دِتھ کھیوٗن تہٕ ژھینٛڑ اوُن۔

کھوسہٕ کھٕبن کرُن :- ہُش مُش پأٹھۍ سارِنۍ کھٕبنہٕ والین ہُنٛد کھٕبنس تِتھٕ پأٹھۍ جوٗٹ کرُن۔ یُتھ پوٗتُس کانٛسہِ تہٕ یڑٕ یِیہ نہٕ۔

کھوسہٕ کھٕبن گژھُن:-۱۔ تِتھٕ پأٹھۍ جوٗٹ گٔرِتھ کھٕبنہٕ یِن یُتھ اکھ کانٛسہِ یڑٕے یِیہ نہٕ ۲۔ بےٚ برکتی گژھٕنۍ۔

کھوسہٕ گژھُن :- غرٕیب گژھُن۔ پَلہِ پسند ازٕ نہٕ کینٛہہ روزُن۔ سوٗرٕے سوٚمبرمُت خرٕچ گژھُن۔

کھوشرٕ باشرٕ :-[<س: بھاشا]۔ کنہٕ پھسراے۔ ژۆرٕ کتھ۔ کٔنۍ کتھ۔ اشارٕ وٕستی کتھ۔

کھوکھُس :-[ن۔ مۆل: کھوکھُس]۔ سیٹھ ژھرٕ ژھ۔

کھوٕکھسی دار:- سُہ کار یا کام یُتھ وَرتہٕ کھٕری آسن۔ کھٕری دار۔

کھوٕکھسی دیو :- یُس کُنہِ جایہِ سوکھ آسہِ نہٕ۔ سپہٕ ولد۔ یُس چیزن مَتان آسہِ۔

کھوٕکھسی لد :- سپہٕ وٕل۔ یُس سوکھ سان بِیہہ نہٕ۔ ژھرٕ ژھٕ لد۔

کھوکھُس آسُن :- سیٹھ آسنۍ۔ اَتھٕ کھور نہٕ بِہتھ روزٕنۍ۔ سوکھ سان نہٕ بہُن۔

کھوکھُس دِنُن :- سیٹھ کرٕنۍ۔ دَبہٕ رارے کرٕنۍ۔ چیزن اور کُ یور کرُن۔

کھوکھُس کرُن :- وٕچھِو "کھوکھُس دِنُن"۔

کھوکھُس لارٕوُن :- گیوٗر اَنُن پریشان کرُن۔ (تیٚتھ) کھٕر اَنُن (یُس سہل پأٹھۍ نیرِ نہٕ)۔

کھوکھُس یُن :- (کانٛہہ چیز بیترِ ژھاران ژھاران) خوٗش کبتھ یِنۍ۔ گیوٗر لارُن۔

کھول :-[ن۔ مۆل: کھال <? س: کھولکہٕ]۔ ۱۔ آنٛچھِ أندرٕ چ گوٗج۔ ۲۔ گُلیٚگ أندرٕیم گوٗل۔

کھأٹی مال :- اَکھ زیور یُس ناٹی ترٛ اوان چھِ اَتھ چھِ کھأٹی ہی بنأوِتھ آسان۔

کھول کڑُن:- اَنٛٹ یا کھٔنٛڈ پھٔرِتھ تَمہِ أندرٕ گوٗج کڑٕنۍ۔

کھولہٕ ۱:-[م۔ مۆل: کھول]۔ اکہِ قسمٕکۍ کیٚمۍ یِم أندرٕ مَن منٛز آسان چھِ۔ اکہِ قسمٕکۍ پۆنٛپرۍ۔ فلیٚوک۔

کھولہٕ پیٚنہٕ :- (أندرٕمن) کھولہٕ زوٗنۍ۔

کھولہٕ کرنہِ :- وٕچھِو "کھولہٕ پیٚنہٕ"

کھولہٕ وَسنہِ :- وٕچھِو "کھولہٕ پیٚنہٕ"

کھولہٕ ۲:-[م۔ مۆل: کھول]۔ مَرٕ ژٕ وانگُن بیترِ کھٕبنہٕ ستی ووٗتھمُت دِیُن تہٕ پھٕہُن۔ مَرٕ ژٕ وانگُن کھٕبتھ ترٛ ووتھُن۔

کھولہٕ پیٚنہٕ :- مَرٕ ژٕ وانگُن بیترِ کھٕبنہٕ ستی وہَن پھٕہُن۔ سٔخ ٹیوٗٹھ لگُن۔ أسٕس ترٛ ووتھُن۔

کھولہٕ ووتھنہِ :- مَرٕ ژٕ وانگُن بیترِ کھٕبنہٕ ستی پھٕہُن، ژٕرۍ مَرٕ ژٕ وانگُن کھٕبنہٕ ستی ماز بیرن بیترِ ترٛ ووتھُن سٔخ ٹیوٗٹھ لگُن۔

کھوٗلُن :-[ن۔ مۆل: کھول <پرٛاکرت۔ کھوڑ <س: کھوڈیَتہِ]۔ ۱۔ مۆرُن۔ ڈیوٚل کرُن۔ گنٛڈ بیترِ

ڈیٚلہٕ راوُن۔۲۔یلہٕ کرُن۔۳۔پھٹرُن (فاقہٕ بیتر)۔۴۔باوُن۔وَنُن۔

کھونٹ :-[ن۔مؤل: کھانٹ]۔۱۔کُنہِ گول چیزُک اَڈ۔۲۔چھل (ٹوپہٕ بیترِ ہنز)۔۳۔گولُر۔

کھوتُر :-[ن۔مؤل: کھوتُر]۔ کھُنڈی پھٹ کوکور، کانہہ سہٕ چیز بیترِ یُس اَڈ گوٚرمڈ گوٚر آسہِ۔

کھونٹھن :-[ن۔مؤل: کھونٹھن]۔۱۔چارواٗیس بیترِ سُند چونٹھ۔۲۔(ورگہٕ پاٹھی) بدبُتھ۔

کھونٹھن گلہِ وُن :-(ورگہٕ)۔۱۔بےٚ وُطیرٕ سوٚلوٚک کرُن۔۲۔بُتھ لدِتھ یَب کرُن۔

کھوُر :-[ن۔مؤل: کھوور <س: کھرو]۔۱۔ووتُر۔ شمٲل، ڈیچھنہِ مُقابلہٕ بیاکھ طرف۔۲۔ژھایہٕ ہوٚل علاقہٕ۔۳۔پھِرِتھ۔وُلٹہٕ سیوٚدنہٕ۔

کھوٚوری :-شیٚبجار طرفہٕ۔تمہِ پاسہٕ یپاٗری تاپھ آسہِ نہٕ۔شُمالہٕ طرفہٕ۔ووٚتری کنی۔

کھوٚوری پوٚر :-کشیرِ ہُندسہٕ علاقہٕ یُس لیدرِ کھوورِ بُتھِ چھُ۔

کھوٚوری کنی :-وِچھو"کھوٚوری"۔

کھوُراتھ :-کھوورِپاسک اَتھ۔سہٕ اَتھ یُس زیادٕ کلمہِ کارس لگان چھنہٕ۔ڈیچھنِس اَتھس مقابلہٕ اَتھ۔

کھوُرڈیچھن :-اوِریور۔تپاٗری تپاٗری۔یپاٗری نظرپیٚیہٕ۔

کھوُر کھور :-کھوورِپاسک کھور،ڈیچھنِس کھورس مُقابلہٕ کھور۔

کھوُرگام :-سہٕ گام یُس ژھایہٕ ہٕلس آسہِ نہٕ روزان۔

کھووراَتھچ کاٗم :-سہل کاٗم۔تہِ۔یَتھ نہٕ کانہہ پھِتر تھیہِ۔

کھوورِ بن تاپھ پیوٚن :-توقع یا وومید اُستھ تہِ کانہہ کاٗم اَندٕ نی۔

کھووریار :-ژھایہٕ ہٕلہٕ طرفس آسُن۔

کھوپڈ :-[م۔مؤل: کھوپڈ <س: کھر پر]۔ پیوٚمُت۔ اوڑھ۔یُس توڑھ آسہِ نہٕ۔

کھوپر :-[م۔مؤل: کھوپر <م۔مراٹھی:کھوپ۔ آسامی: کھُپری]۔۱۔ژھنیہٕ پاٗر۔خام سیرِ ہُند ژھیٚنے دِتھ مکانہٕ۔ خستہٕ گوٚمُت مکانہٕ۔ ۲۔پھٹرِتھ کانگر۔۳۔سوکانگر یَتھ کوپ بیترِ اوڑ آسہِ نہٕ۔

کھوتہٕ :-کھٕسِتھ۔

کھوٹھ :-[ن۔مؤل: کھوٹ <پراکرت: کھُٹہ]۔ ۱۔اوڑنہٕ،نوقص دار۔نالگہٕ ہار،استیمالس لایق نہٕ۔۲۔بد۔م: کھوٹھ نیتھ۔۳۔یَتھ رَل آسہِ۔

کھوٹھ زد :-۱۔یُس کانہہ تاں بیترِ پھٹمُت آسہِ۔ ۲۔یَتھ پھیچر آسہِ گوٚمُت۔نالگہٕ ہار چیز۔

کھوٹھ کرُن :-اِستیمالس لایق نہٕ تھوٚن،خراب کرُن۔

کھوٹھ کار :-تہِ یائہ یُس کانہہ تان بیترِ خراب گوٚمُت آسہِ۔نالگہٕ ہار۔خراب گوٚمُت۔

کھوٹھ کٹاے :-بد نیتی، دل صاف نہٕ آسُن۔ نیتھ بد آسنی۔

کھوٹھ گرُٹھن :-۱۔کامہِ کارس لایق نہٕ روزُن۔ کانہہ تان پھٹنہٕ بیترِ کنی کینْہہ کرنس لایق نہٕ

روزُن۔ ۲۔ کانٛہہ چیز بیترِ پھُچر گژھنہٕ یا کھٔنڈ
وۄتھنہٕ کِنی پزٕ ژرس لایق نہٕ روزُن۔

کھوٹھ نیتھ:۔ کپٹھ۔ بَد نیتھ۔ بدی۔

کھوچُر:۔ [ن۔ مؤل: کھوچُر <پھچھو، کھوٹ]۔
ا۔ کھوٹ آسنٕچ حالتھ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) بدنیتی۔
دِل صاف نہٕ آسنٕچ حالتھ۔ شوٗزرنہٕ آسُن۔
۳۔ (کُنہِ موللہِ داتک بیترِ) سُہ حِصہٕ یُس
صاف آسہِ نہٕ۔

کھوچُر آسُن:۔ ا۔ رَل آسُن۔ شوٗدنہٕ آسُن۔ ۲۔ بدنیتی
آسنٕی۔ دِل صاف نہٕ آسُن۔ دِلس ژھاے آسنٕی۔

کھوچُر کاسُن:۔ ا۔ سیٗز راوُن۔ شوٗزراوُن۔
۲۔ دِلس ژھاے کاسنٕی۔

کھوچُر گژھُن:۔ نیتھ صاف نہٕ روزٕنی۔ دِلس مَل
پیوٗن۔ دِلس ژھاے گژھنٕی۔ نیتھ بدلنٕی۔

کھوڑر:۔ [م۔ مؤل: کھوڑر <فارسی خود رَنگ ژھوٹُر]
موٗٹ پٔژٕ ژادَر۔

کھوڑ:۔ [ن۔ مؤل: کھوڑ <پراکرت: کھڈ]۔ دوب۔
زیٗس۔ کھے۔

کھوڑ اوٗن:۔ ا۔ سُہ انسان یُس اَچھ ژار بن گامُت
آسُن۔ یُس اِنسانس سَنٛرس اَچھ آسُن۔
۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سُہ اِنسان یُس پننہِ غرضہٕ
موکھ اوٗر یور نظر تہٕ دِیہ نہٕ۔ غرض اوٗن۔

کھوڑ بزٕی:۔ ژمینہٕ بزٕی۔ میٛژ بزٕی۔ کُنہ بکارنہٕ آمت۔

کھوڑ پچھُن:۔ (ورگہٕ) سُہ شخص یُس اَستھ کُرِتھ
ترٛ دِنہٕ۔ یُس شخص گُزارٕ اَستھ تہٕ بارَو دِیہ۔

کھوڑ پھچُل:۔ یُس ناکارٕ کیرن آسُن۔ یُس
خراب اطوار آسُن۔ ژھل باز۔ حبر فرٛلَد۔

کھوڑ پھچہٕ:۔ بَد اطوار۔ بد کیرن۔ بد فیل۔
پھٔر پھیزٕ۔ فتنہٕ کو کوڈَر۔

کھوڑ پھیٔٹ:۔ شیطانی۔ بدحرکت۔

کھوڑ پھیٔٹ تُلُنی:۔ نیاے زوٗوراوُن۔ فساد تُلُن۔

کھوڑ خرٕچ:۔ سُہ خرٕچ یُس اَندری کُری زِ۔
سُہ خرٕچ یُس دوٗیمِس خبر کرنہٕ ورٲے کرٕی زِ۔
ژوٗرٕ خرٕچ۔

کھوڑ وٕتر:۔ کھوڑ کیٚمی ہنٛز سوصورَتھ یوسہٕ اَمِس
پوٗپُر بننہٕ پتہٕ بنان چھےٚ۔ اکہِ قسمُک وُڈُوٗن
کیوٗم یُس ٹو پھ چھُ دِوان۔

کھوڑ کون:۔ یَس اَکِس اَچھ منٛز جایہِ کھوڑ ہیوٗ
گومُت آسہِ۔

کھوڑ کیوٗم:۔ سفید رنگہٕ اَکھ کیٚمی ذاتھ یوسہٕ میٛژِ تَل
یا گُلی دودرِس منٛز نوان چھےٚ۔

کھوڑ کھرٛ او:۔ دوکھہٕ، فریب، ژَھل۔ تارن گری۔

کھوڑ کھرٛ او کرٕنی:۔ دوکھہٕ دِیُن۔ تارٕنی۔ ژَھل کرٕنی۔

کھوڑ کھرٛ او گژھنی:۔ دوکھہٕ لگُن۔ ترَنی۔ حبس نہٕ روزُن۔

کھوڑ گپُن:۔ (ورگہٕ) اَندرٕ ہمُل۔ سؤسمار۔ یُس
پننہِ کتھ بیٚیس اَتھہِ دیہ نہٕ۔

کھوڑ موٚنٛڈ:-کُلیُک موٗل یُس کُل ژٕٹتھ زٔمینس منٛز روزِ۔

کھوڑ موٚنٛڈی کڈٕنی:-(ورگہ) کُنہِ کتھِ پتہٕ روٗزِتھ تمیُک اوٗل وانٕگُن نوٚن کڈُن۔ کتھ تُرٕراوٕنی۔

کھوڑ واٗر:-سبزی بیترٕ نوٚو راونہٕ باپتھ سوزٔمین یوٚسہٕ سبٔرس آسہِ۔ واریاہن واربن منٛز باگ سو واٗر یوٚسہٕ باقٕے واریو کھوتہٕ سٔنٛز آسہِ۔

کھوڑٕ ووٗنی:-۱۔سُہ پوٗنی یُس دوٗبس منٛز سمیٛومُت آسہِ۔۲۔ دوٗبہٕ ووٗنی۔ سُہ دُکاندار یُسنٛد وان سبٔرس آسہِ۔یَس دُکاندارس کھٔتس منٛز وان آسہِ۔ شِکس لدُ دُکاندار۔

کھوڈ تراوُن:-(کانٛہہ چیٖز بیترٕ) کھوڈٕس منٛز تھوُن۔ میٚژِ تَل دوٚبراوُن۔

کھوڈ ژٕھنُن:-دوٚبراوُن۔ میٚژِ تَل ژٕھنُن۔ کھوڈٕس منٛز ژوٗرِ تھوُن۔

کھوڈ کھنُن:-۱۔ دوب بناوُن۔ زمیٖنس کھنُن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) ژورے کرٕنی۔کانٛسہِ نوقصان یا تکلیف واتناونہٕ خاطرٕ ساٗزِش کرٕنی۔

کھوڈ گژھُن:-کانٛہہ سَترٕ جاے ؤستھ گژھنی۔ سٔترِ جایہِ دوب بنُن۔سَنبر لگُن۔

کھوڈٕل:-یتھ کھوڈ آسن گاٗمتی۔یتھ سنبر ووگنیار آسہِ۔

کھوڑج:-لوٗگٹ کھوڈ۔گتی۔

کھور:-[ن۔موٗل: کھور > س: کھر]۔پاے۔پاد۔ زنگہِ ہُنٛد بوٚنیُم تہٕ اُخری حِصہٕ یتھ پیٚٹھ ڈیٖتھ

ووڈٕنی روٗزی زیا پکی زِ۔

کھورَس پیٚٹھ کھور تراوُن/ژٕھنُن:-۱۔کاٗنسہِ کانٛہہ وَکانہٕ کرُن۔۲۔ضِد کڈُن۔

کھورَس پیٚٹھ کھور کرُن:-گاٗیلہٕ کرُن۔وَکانہٕ کرُن۔

کھورَس پیٚٹھ کھور گژھُن:-وَپشھ گژھُن۔وَکانہٕ گژھُن۔

کھورَس پیٚٹھ ہیوٚن:-زَل مَل کرناونہٕ باپتھ شُرمُر کھورَس پیٚٹھ بیہناوُن۔

کھورَس تَل ہوٚنٛڈ مارُن:-۱۔گٕژھ رتہٕ چھیٚپہٕ دیُن۔ ۲۔(ورگہٕ پاٗٹھی) ڈٕبتھ کوتاہ کرُن۔

کھورٕ پھٔلی:-نوٗژ کھ کھور۔ماٗری مُنٛدی کھور۔

کھورٕ روٚٹ:-بٔنٛدِش۔رُکاوَٹھ۔پابنٛدی۔

کھورٕ ساٗر:-کھورَوٕتی ساٗری ساٗری (پکُن)۔

کھورٕ ہتی ساٗرُن:-(یتھٕ ہتھ) کشالہٕ کشالہٕ پکُن۔ کھورٕ ہتی ساٗرِتھ کانٛہہ چیٖز وَنہٕ کڈُن۔

کھورٕ شانٛدتہٕ شانٛد کھور کرُن:-۱۔بمارس قرار نہٕ پینہٕ کنٛی گرٕ گرٕ لَر بیترٕ بدلاوٕنی ۲۔سخ بے قرار کرُن۔

کھورٕ شور(شیر):-ہیٖر بوٚن۔کلہٕ پیٚٹھٕ نلس تام۔

کھورٕ کون:-۱۔(ل۔م) کھورٕ بماٗری ۲۔یہٕ چھِ تٔس مُتلق وَنان یُس یِژٕ پاٗٹھی کھور بانہٕ راوان آسَن یا یُس اَدلہٕ بَدل کھور بانہٕ لاگان آسہِ۔

کھورٕ کون کرُن:-کھور بانہٕ راوراونہٕ یا اَدلہٕ بدل کرنہٕ کنٛی گُن نیرنُس وارنہٕ تھوُن۔

کھوڑ گنڈ :-ا۔ بُندِش۔۲۔ آوارِ گی نشہِ بچاونہٕ باپتھ
گُنہ کلمہِ کارس لاگنہٕ یُن۔ تِنٛج حالتھ۔۳۔(ورگہٕ
پأٹھی )بیترِ کتھ گنڈِنی۔

کھور نیوٚٹھ:- کھوڑِ چ موٚٹ ہش گوڈنٛچ اونٛگج۔

کھور نوٚ ٹھس پیٹھ نہٕ ہیوٚن :- کأنٛسہِ ہنٛز بڈٕ ی
فِکرِ نہٕ کھسنی۔ آنٛٹہِ نہٕ کھسُن۔ پرواے نہٕ کرُن۔

کھوڑِ ہوٚر:- زٕ کھور۔ اِنسان سنٛدی دوشوٕے کھور
(یہِ چھُ ہزلہِ پأٹھی وَننہٕ یوان)۔

کھور بانہٕ :- [ن۔ مۄل: کھور بان ]۔ کھورس
لاگنک کانٛہہ چیز، بوٗٹھ۔ چینٛنی بیترِ۔

کھور تھاوُن:-ا۔ پتھرِس کھور دِیُن۔ کھورڈ کھراوُن۔
۲۔ رَژِھ کھنٛجہِ پزارُن۔ قرار کرُن۔

کھور ٹھیکر أوِتھ وَنُن :- کینٛہہ وَنُن وِزِ بیترِ نہٕ
کھوژُن یا وایہ برُن۔

کھور چھلنی:- (ورگہٕ) سخ خنٛدٕ متھ کرِنی۔ سخ یُزتھ کرُن۔

کھور دَرُن:-ا۔ کھور ٹھیکُن۔ کھور۔ ڈ کھراونہٕ یُن۔
رٕ کنہٕ ژٕلنی ۔۲۔ گُنہ جایہِ پاعوہدس پیٹھ قرار لبُن۔

کھور دیُن:- پوٚ دیُن۔ کھور پتھرِس لاگُن۔ ٹھہرُن۔

کھور ڈلُن:-ا۔ وَتُن گژھن۔ کھورس لگُن۔۲۔ (ورگہٕ
پأٹھی ) اَلغأ بہٕ اُتھر گژھن کینٛہہ ناکار کرُن۔

کھور ژانُن :-(واڑِ واڑِ ) منٛز اَژُن۔ پان ویُپر اوُن۔
پوٚ دتھاوُن۔ دٔخل دِیُن۔

کھور ژھننی :-ا۔ کھورس لگُن۔ ٹھوٚنکرِ ستی کھورس چھوکھ

یُن۔۲۔ سفر کڈُر پیوٚن۔۳۔ ٹلی وَتہٕ مینہٕ نہٕ۔

کھوروَہرِنی :-سَر تژ اوُن۔ آرام کرُن۔ لَر تژاوِنی۔
ڈاٹھ دِتھ شوٚنگُن۔

کھوروَہرُن :- کنہِ جایہِ کامہِ منٛز نوٚ ونوٚ و یاپُن۔
کامہِ کارس وُسجار دِیُن۔

کھوروٕہر تھ نیٛنڈر کرِنی :-فِکر ذِکرِ روٚس شوٚنگُن۔
بےٚ پھرٕ وُک پأٹھی نیٛنڈر کرِنی۔ کانٛہہ کأم بیترِ
أنزرأ وِتھ سوکھہٕ سان آرام کرُن۔

کھوسُر :-[ن۔ مۄل:کھوسر]۔ تِم دبلہٕ پیٹھی یا لِشہٕ یمہٕ
مُسلس ووتھان چھےٚ۔ اکہٕ قسمُک کرٕ وٚژھ۔

کھوسری لَد :-ا۔ یتھ کھوسُر و وتھمُت آسہِ۔
۲۔ یَس کھوسُر ووتھان آسہِ۔

کھوکھ:-وِچھِو" کھوٚ کھ" یہِ یا یُس وُچھتھ کھوٚژی زِ۔

کھوکہ بڑ أٹی ہاوِنی :-ٹلی کھوژِ ناوُن۔ ٹلی بیم تھاوُن۔

کھوکھہِ بڑوٹ:-وِچھو" کھوکھہِ بوٹ"

کھوکہ بڑور:-وِچھو" کھوکھہِ بوٹ"

کھوکھہِ بوٹ:-ا۔ ژربن ہار بن ژٕلراونہٕ باپتھ بنوومُت
زَچَن ہُنٛد انسان بیترِ۔۲۔ اَپزٕ ے کھوژِ ناوُن۔

کھوکھ موٚت :-ا۔ وِچھو کھوٚکھ مانے۲۔۲۔ سہٕ ییٚمی
أکھِتھ مأرِ کتھ ژٕر بن کھوژناونٛچ شکل آسہِ بنأومِژ۔

کھوٚج :-[م۔ مۄل: کھوکھج ]۔ا۔ ژُرِس بیترِ سُند اَتھ
تہٕ کوٚٹھی ڈ کھراُوِتھ پکُن۔ ژُرِ تہٕ کھورڈ کراُوِتھ
ژُری سُند پکُن۔

کھوٗ ژھج کرٕنۍ :-شُرِس بیترِ سُنٛد نَرِ تہٕ زَنگہٕ ڈٕکھراُوِتھ پکُن ہیٚون۔ نَرِ تہٕ زَنگہٕ ڈٕکھراُوِتھ بروٗنٛہہ کُن لمنچ کوٗشِش کرٕنۍ۔

کھوٗ ژھج لارٕنۍ :-پکِتھ نہٕ زانہٕ کِنۍ یِڈکھکھرِ پکُن۔

کھوٗ ژھج ہیٚنۍ :-دوٚد شُرۍ سُنٛد بروٗنٛہہ کُن لمُن ہیٚون۔ شُرۍ سٕنۍ کھوٗ ژھج کرٕنۍ ہیٚنۍ۔ اَتھ کھورٕ ڈٕکھراُوِتھ شُرٕ سُنٛد اورٕ یورٕ پھیرُن ہیٚون۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) کامہِ منٛز زان گژھنۍ ہیٚنۍ۔

کھوٗکھجہِ کھوٗ کجہِ :-کھکھرِ کھکھرِ۔ اَتھ کھورٕ ڈٕکھراُوِ ڈٕکھراُوِ۔

کھوٗکھجہِ کھوٗکھجہِ پکُن :-۱۔ اَتھ کھورٕ ڈٕکھراُوِ ڈٕکھراُوِ پکُن۔ گھکھرِ گھکھرِ پکُن۔ ۲۔ ہیٚتھ ہیٚتھ کأم پکہٕ ناوٕنۍ۔

کھوٗکھش :-وُچھِو "کھوٗ ژھج"۔

کھوٗکھُت :-[ن۔ موٗل: کھوٗکُت < س: کھشہ + تو]
۱۔ ژوٗرٕ کھوٚت۔ مکانس منٛز سو جاے ییٚچ کانٛسہ خبر آسہِ نہٕ۔ سو جاے یوٚت گاش واتہِ نہٕ۔
۲۔ ہیٚرِ بون ۆلتھ مُلتھ روزنچ حالتھ۔

کھوٗکھُت کرُن :-پانَس ہیٚرِ بون پکو بیترِ وَلُن یا ہیٚون۔ وُرنِس بیترِ تَل اَژُن۔

کھوٗکھُت موکھُت گرِتھ بہُن :-کلہٕ نلہٕ پکلوٕ ۆلتھ بہُن۔

کھوٗکھتبن اَژُن :-ژھیپن اَژُن۔ خوفہٕ بیترِ کِنۍ ژوٗرٕ روزُن۔ کھٕٹِتھ روزُن۔ ترِژھ جایہِ روزُن

یوٚت سہل سہل کانٛہہ واتہِ نہٕ۔

کھوٗکھتبن ژانُن :-کاٹھہٕ ناوُن۔ شرہ کنبن ژانُن۔ تیٚتھ خوف تھوٚن یُتھ اِنسان ژھپھ دِتھ بیہہِ۔

کھوٗکھُر :-[موٗل: کھوٗکھر < م:ہ: کھوٗکھلا]۔
۱۔ ژھوٚر۔ یَتھ أندرٕ کیٚنٛہہ آسہِ نہٕ۔ یَتھ صِرف دٔبل موجوٗد آسہِ تہٕ أندرٕ آسہِ ژھوٚرٕے۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سُہ یُس کیٚنٛہہ زانہِ نہٕ، یَس خبر اَتر آسہِ نہٕ۔ ۳۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) یَس زُو اَژھیوٗمُت آسہِ۔ کمزور، نہٕ ہیکن وول۔ ۴۔ بگٕر۔

کھوٗکھُر اَژُن :-۱۔ دوٗدُر اَژُن۔ گوٗگر گژھنۍ۔ کیوٚم بیترِ لگُن (یُس أندرٕ أندرٕ کوٗرِ)۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) سار نہٕ روزُن۔ عُمر تہٕ فِکرو کِنۍ (أندرٕ أندرٕ) سوٗر لگُن۔

کھوٗکھُر کرُن :-گوٗج کوٗرِتھ کڈٕنۍ۔ دٔدر بناوٕنۍ۔ ژھوٚر کرُن۔

کھوٗکھُر گژھُن :-۱۔ دوٗدرَ نہٕ بیترِ کِنۍ دٔدر گژھنۍ۔ ۲۔ توژھ نہٕ روزٕنۍ۔ سامَرتھ نہٕ روزٕنۍ۔ ژھوٚر گژھُن۔ ۳۔ کتھ بگٕر گژھنۍ۔ کتھ صاف نہٕ گرِتھ ہیکُن۔ ۴۔ نادار گژھُن۔ مایہٕ نہٕ روزُن۔

کھوٗکھُر لگُن :-سُرٕش لگٕنۍ۔ دوٗدُر اَژُن۔

کھوٗکھراوُن :- [ن۔ موٗل: کھوٗکھُر < ]۔ ۱۔ أندرٕ ژھوٚر گژھُن۔ دٔدر گژھنۍ۔ ۲۔ توژھ نہٕ روزٕنۍ۔ سامَرتھ نہٕ روزٕنۍ۔

کھوکھرُن :-[ن۔مؤل: کھوکھر<]۔۱۔أندرٕ ژھوٚر گژھن۔ دٕدٕر گژھنۍ۔ ۲۔توٚژھ نہٕ روزٕنۍ۔ سامٕر تھ نہٕ روزٕنۍ۔

کھوکھرٕ یار:-۱۔أندرٕ ژھوٚر آسنٕچ حالتھ۔دٕدرٕ ہنٛز حالتھ۔ ۲۔ناپایدأری۔اَژھر۔۳۔کتھِ منٛز بگر یار۔کتھ نہٕ صاف پأٹھۍ کرِتھ ہکنٕچ حالتھ۔

کھوکھلاوُن:-[ن۔مؤل: کھوکھلا<س: کشل]۔پلوس بیترِ مُسٛتھ کرِتھ دِنۍ یا أنس منٛز غوطہٕ ناوِتھ دِنۍ۔

کھوکھلُن:-وُچھِو"کھوکھلاوُن"۔

کھوٗلُو:-[ن۔مؤل کھولو<س: کھلتہٕ]۔۱۔(آبس بیترِ) بوٚنہٕ ہیوٚر کرُن۔۲۔سیوٚمب بیترِ پیٹھ کُن کھوٗتمت آسُن۔

کھوٗلُو تُلُن:-۱۔آب دالودار بناوُن۔گرٛٹ کرُن۔ ۲۔گنٛڈ کرُن۔۳۔مُوٗکری کرٕنۍ۔

کھوٗلو کرُن:-۱۔پأنس بوٚنہٕ ہیوٚر کرُن۔۲۔سیوٚمب بیترِ ہیوٚر کُن کھارُن۔۳۔أندرٕ نیبرٕ خبر ہیٛنۍ۔ ۴۔دوٚنٛوژھ دِنۍ۔گڈبڈ کرُن۔فِتنہٕ اَبساوُن۔

کھوٗلُو لگُن:-۱۔ہیوٚر کُن گژھ لگٕنۍ۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) أندرِم دأدٕ وۅتلِتھ نیٛرٕ۔منس پۆرٕ خبر گژھنۍ۔۳۔نبر گژھن۔

کھون:-[م۔مؤل: کھون<س: کھونہٕ]۔۱۔کھونہٕ وُٹس نِشہٕ برٕ ہُنٛد حصہٕ۔۲۔کھونہٕ وُٹس نِش نالی پلوٗک حصہٕ۔۳۔کوچھِ۔۴۔تیٚوٚت بٔٹ کھونہٕ منٛز واتہٕ۔م: کاٹھ کھون۔۵۔ڈرٕی یا وَس منٛز سوچاے یتھ اتھ وتھ بدلنہٕ کٕنۍ سر ہیوٚ بنان آسہٕ۔

کھونہٕ تُلُن:-کوچھ تُلُن۔کوچھِ ہیوٚن۔

کھونہٕ رٹُن:-کوچھ ہیوٚن۔کوچھِ منٛز للہٕ وُن۔

کھونہٕ کبتھ:-کھونہٕ منٛز۔کوچھِ منٛز۔

کھونہٕ کھونہٕ پھرٕ وُن:-(ورگہٕ) ٹاٹھنیار سان رچھُن۔

کھونہٕ کھونہٕ رچھُن:-شُر بیترِ أکِس ہِنٛدِ بیٚیس ہِنٛدِ ڈِس رچھنہٕ یُن۔۲۔(ورگہٕ پأٹھۍ) سارِنے ہُنٛد تُوٚٹھ آسُن۔

کھونہٕ گوٚمُت:-سُہ پلو بیترِ یُس کھونہٕ وٹہٕ تلہٕ ژھیوٚ نمت آسہٕ۔

کھونہٕ للہٕ وُن:-(کوچھِ منٛز تھوٚوِتھ) للۍ للۍ کرُن۔گۆرٕ گۆرٕ کرُن۔

کھونہٕ ہیوٚن:-کوچھِ منٛز رٹُن۔کوچھِ منٛز تھوُن۔

کھون کرنہٕ:-کاٹھ بیترِ گنٛڈنہٕ باپتھ الگ الگ تھاوُن۔گیٛجہِ کرنہٕ گیٛجن ہنٛز بأگرن۔

کھون دِنۍ:-شُر بیترِ ژٔرِس کالس کھونہٕ منٛز رٹنہٕ ستۍ تھکراوُن۔

کھون کرٕنۍ:-۱۔لوٚژھر بناوٕنۍ۔گیڈ بناوٕنۍ۔۲۔سارِنے کُنۍ گیڈ کرٕنۍ۔سأری یکہِ وٹہٕ رٹٕنۍ۔سأری أکِس جایہِ رُٹِتھ اَنٕنۍ۔

کھون گرٛھنۍ:-۱۔پلوس بیترِ ڈوکھ اژٕنۍ۔۲۔پلو کھونہٕ وٹہٕ تلہٕ رُٹُن یا ژھیٛنُن۔۳۔گیڈ گرٛھنۍ۔

أ کرِ ہے جایہِ سأری رَٹنہٕ ییٚنۍ۔
کھون لگٕنۍ :-شُرِس کھون سَنٛنۍ۔ ژٕرِس کالَس کھونہٕ مۆژ روزنہٕ یا پکناونہٕ کِنۍ شُر تھکُن۔
کھونہٕ وَٹھ :-ٹرِ یتہٕ مۆژ ہِ مۆژِس جوڑ۔ سُہ جوڑ یُس ٹرِیتہٕ مۆژ ہِ درمیان چھُ۔
کھون وَٹہٕ کھوڈ کھٕنُن :-سَخ میچھنَتھ کرٕنۍ۔ سَخ کۆشش کرٕنۍ۔ کانٛہہ مُشکِل کأم کرنس تَن دِنۍ۔ سیٚہ نہٕ بٔنۍ آسہٕ پأدٕ کرنچ کۆشش کرٕنۍ۔
کھوٗنٛدرٕس (کھوتس):-اماپوٗز۔
کھوٗنٛدٕ کسابہٕ :-اکہِ قِسمُک تھوٗدکسابہٕ۔
کھیٚتری :-[مۆل: کھیٚتری <س: کشترٕیہ]۔ ہیٚنٛدٕ بن ہنٛدِ دۆیمہِ ورگُک سُہ اِنسان یُسنٛد دَرٕم مُلکُک بچاو کرُن چھُ مانہٕ یوان۔
کھیٚچ :-[م۔مۆل: کھیٚچ]۔ (پٔشِن یا جاناوارن ہنٛز) لوٗکٹ جماتھ، چھوکھ۔ ٹوٗچ۔ م: کوٗتر کھیٚچ، گٕیٚن کھیٚچ۔
کھیٚچو کھیٚچو :-جمأژ و جمأژ و۔ ٹوٗلہ ٹوٗلہ گژھٕو۔
کھیٚچہٕ وول :-ا۔ چھلہٕ چھانگر۔ ۲۔ یکہٕ وٹہٕ سٕبٕٹھہن کٕنۍ بمأری پیٚنۍ یا بیمارِ ہُنٛد حملہٕ سپدُن۔
کھیٚچ کرٕنۍ :-ا۔ جماتھ کرٕنۍ۔ جماتھ بناوٕنۍ۔ ۲۔ ژوے کرٕنۍ۔ سِمتھ سٕتہٕ وٹہٕ کرُن۔
کھیٚش :-[م۔مۆل: کھیٚش]۔ پنہٕ داوَن، گاسہٕ ٹلُن یا مَس بُرگن ہیٚتر ہنٛز اکھ تھپھ۔
کھیٚتہٕ شور :-[ن۔مۆل: کھیٚتہٕ شور <س: کشیترے شوٗر]

ا۔ زمینہٕ زراتک دوتا ۲۔ کول برٛہمن گور۔ زیٹھ۔
کھیر :-[ن۔مۆل: کھیر]۔ رَز کڈٕل۔ رَزَن پٹھ ڈٕری یا وَس ہیتر تارنہٕ آمٕت کڈٕل۔
کھیل :-[م۔مۆل: کھیل <س: کھیلا]۔ا۔ گٕنٛدُن، دروٗگُن، تماشہٕ۔ م: پِنٛژ چھےٚ کھیلہٕ کران۔ ۲۔ لیلا۔
کھیلَن بوج :-گٕنٛدُن بوج۔ یُس گٕندنس مۆژ ستۍ آسہٕ۔
کھیلہٕ بوج :-گٕنٛدُن بوج۔ یُس گٕندنس مۆژ ستۍ آسہٕ۔
کھیلہٕ کرنہٕ :-ا۔ نژُن گٕنٛدُن۔ تماشہٕ۔ ووسہٕ ییتھ کھنٛدٕ کرنہٕ۔ ۲۔ شُری لأز کرنہٕ۔
کھیل زانُن :-سہل زانُن۔
کھیلہٕ ناوُن :-[ن۔مۆل: کھولہٕ ناو]۔ا۔ گٕنٛدٕ ناوُن۔ گل گوشَس لاگُن ۔۲۔ کوٗفیلس گُن ہاوُن۔
کھیلہٕ وُن :-ا۔ گٕنٛدٕ وُن۔ نژٕ وُن۔ یُس دٕوٕ دٕوٕ کران آسہٕ ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) لوٗکٹ۔
کھیلُن :-[م۔مۆل: کھیل <س: کھیلَنہٕ]۔ا۔ نژُن۔ گٕنٛدُن ۔۲۔ ناٹک ہیتر کرُن۔
کھیلہٕ دِتھ نیُن :-ژٕھلہٕ اُتھ مۆراُتھ نیُن۔ دوکھس مۆژ گُن کڈِتھ نیُن۔ ژٕھل کٕرِتھ کُنہِ اَنٛدرٕس گُن کڈُن۔ گلہٕ وِتھ نیُن۔
کھیٚنچل :-[ن۔مۆل: کھیٚنچل]۔ ا۔ تھوتھ۔ گانگل۔ کینٛہہ کران کران مۆژ تیٚتھ کینٛہہ سپدُن ییمہِ ستۍ انسان تمہِ نشہٕ ڈٕلہِ ۔۲۔ رُکاوٹھ۔ ٹھوٗر۔
کھیٚنچل کرُن :-ا۔ تھوتھ کرُن۔ گانٛگل کرٕنۍ۔ ۲۔ رُکا

وُٹھ کرٕنۍ۔ اَتھ وَتھ نہٕ دِنۍ۔

کھینچل گرٛزھن:-۱۔(کُنہِ کارس بیترِ منٛز) تھوتھ گرٛزھن یا گانٛگل سپدٕنۍ۔ مَن اوٕر یور ڈُلُن۔ ۲۔ رُکاوَٹھ گرٛزھنۍ اَتھ وَتھ نہٕ تٕرٛنۍ۔

کھینچُن:-[ن۔ مۆل: کھینچ <پرٛاکرت کھچھ <س: کرٛش۔ مِ: اُردو کھینچنا۔ ا۔ لمُن دزٕ سہٕ کرُن۔ ۲۔ کُشش کرٕنۍ۔ پانٛس کُن انُن۔

کھپر:-[م۔ مۆل: کھپر <س: کشیپہ]۔ لوٗکٕٹ داں گوٗنۍ۔ تھپر۔

کھپُت:-[ن۔ مۆل: کھپت <س: کھاو+ پوتہٕ]۔ بےشوٗب۔ زٕچل اِنسان۔

کھپتو کھوٗمُت:-ہوٗ کھمُت تہٕ پیوٗمُت اِنسان۔ یَس زوٗزہٕ آسہِ نہٕ۔

کھپھ:-[م۔ مۆل: کھپ <س: رکشپ۔ مُ+و: کھپ] ا۔ ہَنہٕ یا ڈیر (گاہٕ بیترِ) ۔۲۔ منٛز کڑِتھ نیوٗمُت مال (ناجائز پاٹھۍ) ۔۳۔ چھوکہ۔ جماتھ۔

کھپھ اَتھ تٕرٛنۍ:-تھپہٕ تھوسہٕ مال بٔنن۔ تھپھ ہٕنۍ۔ دوکھ وَرتاوِتھ کانٛسہِ ہُنٛد جاداد دَباوُن۔

کھپھ ہٕنۍ:-تھپہٕ تھوسہٕ دیار یا جاداد بٔنن۔ ژھل کٔرِتھ وارِیاہ دیار اَتھہِ لگٕنۍ۔

کھپھ کڑٕنۍ:-کانٛسہِ ہُنٛدِ جاداد یا دیار رومنٛز اُڑٕہنا کھینٛز۔ ژھل کٔرِتھ کانٛسہِ ہُنٛدِ مالہٕ دولتہٕ منٛز پانٛس کیٛت کینٛہہ ہانٛئِن۔

کھہڑر:-[م۔ مۆل: کھہڑر <س: کرِ مز، م: کھچڑی]۔ ا۔ اَکھ کھین یُس تومُل، موٗنگ، مَسالہٕ بیترِ رلاوِتھ رَنہٕ چھُ یوان۔ اَکہِ قسمُک سَسہٕ وُگرٕ۔ ۲۔ زژ انڈ۔ مِلہٕ مِش۔

کھہڑر کرٕنۍ:-ا۔ کھہڑر بناوٕنۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھۍ) وارِیاہن چیزن کٕٹھے کرُن۔ وارِیاہ چیز رَلہٕ مِلہٕ کرٕنۍ۔ ۳۔ تھوس اَنٛز۔ اونٛگھر منٛز جونٛگھر کرٕنۍ۔

کھہڑر گرٛزھنۍ:-سارۍ اَکی ہے جایہٕ سُتنہٕ تٕرٛنۍ۔ کانٛہہ چیز نہٕ شوٗدتہٕ صاف روزُن۔

کھہڑر رِکو چھ:-یہِ چھِ تُس زَنہٕ متلق وَنان یَس کورِ پتہٕ گوٗبُرتہٕ گوٗبرس پتہٕ کوٗرزیوٗ۔

کھہڑر ماوٕس:-یٕچھِ سُنٛد دوہ۔ پوہہٕ ماوٕس یا پوہہٕ گٹہٕ پچھُک اَخری دوہ، اَمہِ دوہ چھِ ہٕٹہٕ کھہڑر بناوان تہٕ کھوان۔

کھہڑر:-[ن۔ مۆل: کھہڑر]۔ کھوتہٕ گوٗمُت، ووپیا کھیان۔

کھبل:-[ن۔ مۆل: کھبل]۔ پمپوشکی پنہٕ وٕتھر۔

کھبلہٕ وٕتھر:-وِچھِ "کھبل"

کھبل بٔرگ:-وِچھو "کھبل"۔

کھما:-[م۔ مۆل: کھما <سِ: کشما]۔ دَیا۔ مأفی۔

کھما کرٕنۍ:-مأفی دِنۍ۔ بخشُن۔

کھما کار:-بخشن ہار۔ مأفی دِنہٕ وول۔ دَے۔

کھمبہٕ کھمبم:-اَکھ اَکی سُنٛد لرٕز۔ اکھ اَکی سُنٛد خوف باسُن زِ کھیونٛس ما۔

کھبن!:- [ن۔مۄل: کھبن <س: کَشَنَہ ]۔ بُزٕنٕو۔ ژٕنیُو ہ۔لٔحظہٕ۔

کھبنہٕ کھبنہٕ:- وِزِوِزِ۔

کھبنہٕ ماترا:- کٔہی تام رٔژِ کھٔنجہٕ۔

کھبن۲:- [ن۔مۄل: کھبن <س: کھادَنَہ]۔ غِذا۔ خوراکھ۔یہ کھیٚنہٕ۔

کھبناچتا:- عاش، مزٕ، سال سَب۔

کھبن پیوٚن:- جان غِذا واتُن۔ رٔتی پاٹھی پرٛۄرِش واتٕنۍ۔ پلالہٕ کرنہٕ یُن۔

کھبن تژاوُن:- ا۔ کینٛہہ نہٕ کھیوٚن۔ روشنہٕ بیترِ کٕنۍ تہٕ غذٕ ہس مازُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) رُٛنن۔ بۄسید سپدان۔

کھبن چٔن:- ا۔ غذا۔۲۔ رۄزٕنۍ نہٕ بیترِ۔

کھبن چٔن تژاوُن:- ا۔ کینٛہہ وَکانہٕ یا تکلیف بیترِ واتنہٕ یا روشنہٕ کٕنۍ کینٛہہ نہٕ کھیوٚن۔ ۲۔ آخری وَق واتنہٕ کٕنۍ کُنہِ کُن مآل نہٕ روزُن۔ سوتُن۔

کھبن چٔن دِین:- تہٕ سورُے فراہم کرُن یہ کھبنس چٔنس لگہٕ۔ کھبنٕک چٔنٕک خرٕچ برداش کرُن۔ پالُن۔

کھبن چٔن رٔٹُن:- کھبنس چٔنس نہٕ مآل روزُن۔ بوچھِ نہٕ لگٕنۍ۔ سخ بیمار آسنہٕ کٕنۍ کُنہِ کُن رٔغبتھ نہٕ روزُن۔

کھبن دِین:- جان غذا واتناوُن۔ پلالہٕ کرُن۔ تیٚتھ غِذا دیُن یتھ زُوگری زِ۔

کھبن رٔٹُن:- کُنہِ کُن مآل نہٕ روزُن۔ سۄکوٚت کرُن۔ غذٕ ہس کُن رٔغبتھ نہٕ روزُن۔

کھبن لاگُن:- پلالہٕ کرُن۔ تیٚتھ خوراک دیُن یُتھ کھبنہٕ وول زُوس منز پیہٕ۔

کھبن مَشُن:- ا۔ تیٚتھ کینٛہہ سپدُن ییمہٕ سٟتۍ کُنہِ کُن مآل روزِ نہٕ۔ یا بتہٕ بیترِ کٕنۍ نہٕ کُنہِ کُن مآل روزُن۔ ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) سخ پأرِ ہیُن۔

کھوٗ!:- [ن۔مۄل: کھوٗ]۔ لَمہٕ رَز۔ پھلسہٕ رَز۔ دژٕنۍ۔

کھوٗ گنڈُن:- دژسہٕ رٔٹنہٕ باپتھ رز گنڈٕنۍ۔ ناوِ سو رزگنڈٕنۍ ییمہٕ سٟتۍ یہ گنڈِتھ تھونہٕ چھےٚ یوان۔

کھوٗ۲:- ا۔ پچھنَن ہُنٛد أکہِ جایہِ سٔمُن۔ ۲۔ جماتھ۔ ٹۄنگ

کھوٗ کرٕنۍ:- جماتھ بناوٕنۍ۔ بأج وٕٹھ کرُن۔

کھوٗ گرٛھنۍ:- کوٚسنگ لگُن۔ ووتھ بیٚٹھ روزٕنۍ۔

کھوٗ۳:- کھاو۔ م: والہٕ کھوٗ۔

کھوٗر:- [ن۔مۄل: کھوٗر <س: کھارَ]۔ تیٚرن ہنٛدِ باپتھ باچھِ لوٗ بیترِ چارواین ہُنٛد غذا۔

کھوٗر پیوٚن:- (تیٚرن بیترِ) پلالہٕ سپدُن۔ رَچھنہٕ یِنۍ۔

کھوٗر دِین:- ا۔ سرکارس اَناجٕک حِصہٕ دیُن۔ ۲۔ (تیٚرن بیترِ) پلالہٕ کرُن۔ رٔچھنۍ۔

کھوٗر واتُن:- وُچھِو ''کھوٗر دیُن''۔

کھبے:- [ن۔مۄل: کھبے <س: کشنیہ ]۔ ا۔ تبأہی۔ بۄربأدی۔ ناش۔ ۲۔ سِلہٕ۔ کاژھ۔

کھبے گرٛھن:- ا۔ ناش گرٛھن۔ ڈۄلُن۔ تبأہی

سپدٕنۍ ۔۲۔ نہٕ بوٚن گژھُن ۔

کھیاوِناوُن :-۱۔ کینٛہہ کھٕنٛبس پٮ۪ٹھ مجبوٗر کرُن ۔ زور کٔرِتھ کینٛہہ کھٕنٛبس پٮ۪ٹھ آمادٕ کرُن ۔۲۔ رَقم بیترِ کانٛسہِ اَتھہِ نوٚناوُن ۔

کھیاوُن :-۱۔ کھیوٚن دیُن ۔ کھٕنٛبس پٮ۪ٹھ راضی کرُن ، آپراوُن ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) بےٚ یِزتی کرٕنۍ ۔ ترٛٹھ کتھ وَنٕنۍ ۔یُتھ خبر گژھہِ ۔۲۔ (ورگہٕ پأٹھی) کانٛہہ چیز بیترِ کانٛسہِ اَتھہِ دَباوِناوُن ۔ سَہل اَنگأری بوٗزِتھ پانٛس نوقصان کرناوُن ۔ راوراوُن ۔

کھُچ :-[ن ۔م ۔ کھُچ < س ۔ کرِش ]۔۱۔ تھوتھ ۔ روٗٹ ، اَٹکاو ۔۲۔ (لوٗکن ہُنٛد) یُن گژھُن ۔ چَرچہٕ ۔

کھُچ آسُن :-تھوتھ آسُن ۔ لوٗکن ہُنٛد یُن گژھُن آسُن ۔

کھُچ کاسُن :-تھوتھ ژُلراوُن ۔ روٗٹ دوٗر کرُن ۔

کھُچ گژھُن :-تھوتھ گژھُن ۔ روٗٹ گژھُن ۔

کھُیر :-کانٛہہ ہُنٛد وُنٛمت بانہٕ بیترِ تھوٚنہٕ باپتھ ٹھُپ ہیوٚہ ۔ اکہِ قسمٕچ زأن ۔

کھُیس :-[ن ۔ موٗل: کھِس < ف: کیسہٕ < م ۔ ہ: کھیسا] ۱۔ سناوِ دُسنٛد سامانہٕ بیترِ تھوٚنہٕ باپتھ دالوٗ جولنہٕ ۔ ۲۔ گوٚڑ ریٚتھ اَنٛدر دِیار تھوٚنہٕ ہٕن ۔ ٹھیلی ۔ مِ: دومرا یارُن کھُیس ۔

کھِسی پھیُر :-(ورگہٕ) رقمس اوٚر یوٚر ۔

کھِسی پھیُر کرُن :-رقمس اوٚر یوٚر کرُن ۔ تارٕنۍ ۔ دوکھٕ دیُن ۔

کھِسی پھیُر گژھُن :-رقمس اوٚر یوٚر کرُن ۔ تارٕنۍ ۔ دوکھٕ دیُن ۔

کھیوٚب :-[< س: کشوبھ ]۔ پریشأنی ۔ حأرانی ۔ بے قرأری ۔

کھیوٚبَس گژھُن :-غوطَن گژھُن ۔ بےقرار گژھُن ۔

کھیوٚل :-[ن ۔ موٗل: کھیٚل < س: اکھلہ ]۔۱۔ جبہٕ ۔ رَمبہٕ ۔ وارِیاہ تید ادس منٛز تیر گپُن بیترِ ۔۲۔ وارِیاہ لوٗکھ ۔

کھیٚلی روچھ :-جَبس نظر گذرتھاوَن وول ۔ گوٗر ۔ پوہل بیترِ

کھیٚلی کٹھ :-(ورگہٕ) عَقلہٕ روس وہیوٚٹھ پوٚٹھ انسان ۔

کھیٚلی وول :-۱۔ سہٕ یَس بوٚڈ جبہٕ آسہِ ۔ یَس وارِیاہ چارواےٚ آسَن ۔۲۔ یَس ژوٚر عَیال آسہِ ۔ عیال بار ۔

کھیوٚل اَنُن :-گاسہٕ بیترِ کھیاوِتھ چارواےٚ گرِ کُن پکناوٕنۍ ۔ بَس گرِ کُن لرٕنۍ ۔

کھیوٚل تُلُن :-چارواےٚ بیہوارس پٮ۪ٹھ تھکتھ کڈنہٕ پتہٕ گاسہٕ کھیاوِنہٕ باپتھ پکناوٕنۍ ۔

کھیوٚل کڈُن :-جَبہٕ مأدان نٮ۪ن ۔ جَبہٕ گاسہٕ کھیاوِنہٕ باپتھ پکناوُن ۔

کھیوٚل نٮ۪ن :-۱۔ جَبہٕ اَکہِ جایہِ پٮ۪ٹھ بیٚیِس جایہِ واتناوُن ۔۲۔ وارِیاہ لوٗکھ پانٛس سٟتی نٮ۪ن ۔

کھیوٚل والُن :-مَرگہٕ پٮ۪ٹھ تیر بیترِ واپس پأتھلِس اَنٕنۍ ۔ جَبہٕ وَنہٕ پٮ۪ٹھ بَستی منٛز اَنُن ۔

کھیوٚن :-[موٗل: کھٮ۪ن < س: کھادَنہٕ ]۔۱۔ نبنگلاوُن ۔ ہرٕ بون والُن ۔۲۔ یٮ۪ب کرُن ۔ شرٛ ڈپراوُن ۔ مِ:

رَقم کھیٚون۔ ۳۔ مُجراہس نہٕ اُنُن تڑاوُن۔
گُنزرُن نہٕ کرُن (قسم یا افسوٗس بیترِ)۔
کھیٚے تہٕ تڑ اولگُن :- ترٛٹھ حالتھ گرٛھنہٕ زِ تیتھے کانْہہ چیز کھیٚے زِ تیتھُے مادان نیرُن۔ شرٛ پَن بلنہٕ نہٕ روزُن۔
کھیٚے تہٕ کھیٚے کرُن :- بیٚیہٕ تہٕ بیٚیہٕ کھیٚون۔ کھبتھ تہٕ کھوانے روزُن۔
کھیٚے تہٕ کھیٚے لگُن :- پیاپےٚ کھبنس گُن ہاوُن۔ اکہِ پھرِ کھبتھ ستی بیٚیہٕ کھیٚون۔ پوٚتُس پَتھ کھوان روزُن۔
کھیٚے ناش :- [س: کھاوَنہٕ + ناشنہٕ] ۱۔ کھبن رٹُن۔ اَکھیٚون۔ ۲۔ کھبنس نکار کرُن۔
کھیٚے ناش کرُن :- کینْہہ نہٕ کھیٚون۔ کھبنہٕ نشہٕ پتھ روزُن۔ فاقہٕ دیُن۔ ۲۔ پھشہِ لَد کرُن (کھبنہٕ نِش)۔
کھیٚنہِ چیٚنہِ :- سائس بیترِ، عائش کرنہٕ، داوتس۔
کھیٚنہِ ووتھن :- گزار کرُن۔ تتھِ پاٹھی کتھِ کرنہِ یُتھ باسہِ زِ ژونہِ ووتھ۔ بڑٕ ہٹہِ ووتھن۔
کھیٚنہٕ یُن :- ۱۔ ژھُپس یُن، ٹوپھ دِنہٕ یا پتھ پتہٕ لارُن۔ ۲۔ کھرُن، خوش نہٕ کرُن۔ ۳۔ پھوشان پھوشان بتھِ یُن۔ کھرٛ تھ ژھنہٕ یُن۔
کھیمتس درژ امُن کرُن :- ووٚتمت پانْسہٕ ٹوٗنک خرچُن برٕ چُن۔
کھبتہٕ وَے :- تیوٗت خوراکھ یُس اَکس ڈنکس پوشہِ۔ زَڈ کڈنہٕ موکھ کانْسہِ ووزم ہیوٚ تمت رٹُن
کیٚت تومُل بیترِ۔
کھبتھ تہِ بارَو تہٕ نہٕ کھبتھ تہِ بارَو :- تہٕ دِ پتھ گوکُنہٕ پاٹھی نہٕ خوش۔ کُنہٕ کَنہٕ تہٕ راضی۔
کھبتھ تہِ کھبنہٕ چی زِپر :- تہٕ دِ پتھ گو کھیٚے کھیٚے یڈ نہٕ ترٛز۔ کھبنس گُن بڑاد آسُنہٕ۔
کھبتھ چتھ :- ۱۔ یڈ بَر نہٕ پتہٕ، پٹُن باز برابرأنتھ۔ ۲۔ یوٚ دوَے کانْسہِ نشہِ فائیدٕ تہٕ آسہِ ووتمت۔
کھبتھ چتھ شونگُن شاند دِتھ لوٚنگُن :- یہِ چھِ تمہِ پھرِ وَنان ییٚلہِ کانْہہ کھبنہٕ چنہٕ ورأے بیٚیہٕ کاما کاراکران آسہِ نہٕ۔
کھبتھ چتھ لکو کرِنی :- رٕٹتھ یا ہتھ کرِتھ ژلُن یا نبٹھ ہاوُن۔
کھبتھ چتھ گرٛھن :- پٹنی یڈ بسأوِتھ نیرُن۔ پٹُن ضوٗرٕ رتھ برابر کرِتھ لٹ ہینی
کھبتھ ژھنُن :- ۱۔ نبنگلاوُن ۲۔ (ورگہٕ پاٹھی) بُتھ کھیٚون۔ دُ چاپہٕ پاٹھی مثُن بَد بُتھ پیش یُن۔ سَخ خشمہٕ سان کتھ کرِنی۔
کھبتھ گرٛھن :- کانْہہ چیز ا (روپیہٕ بیترِ) دباوُن۔ واپس دِنگ ناونہٕ ہیٚون۔ نکھ والُن۔
کھبنا چتا کرُن :- ۱۔ سال بیترِ کرُن۔ سالہِ اُنی ہتی لُکھ جان پاٹھی رَنز ناوِنی۔ ۲۔ عائش کرِنی۔ سبٹھاہ جان پاٹھی کھیٚون چوٚن۔
کھبنہٕ بانہٕ :- ۱۔ (ورگہٕ پاٹھی) کُنہ بلنہٕ یتھ منز غذا کھیٚے زِ۔

۲۔ بُتھ بانہٕ۔ شوٗنٹھٕ۔ ۳۔ وپٔتھ۔ شرٕ پَتھ۔

کھبنہٕ بٔرٕش :- سو زنانہٕ یوسہٕ کہے تہٕ وارٕ وارٕ کھوان آسہِ۔ کم کھبنہٕ واجیٚنۍ زنانہٕ۔

کھبنہٕ بُلبُل :- یَس کم تہٕ میوٗٹھ زیوٗٹھ کھنبس ہاأل آسہِ۔

کھبنہٕ بُلبُل پکنہٕ پأز تہٕ گنڈ نہٕ گوسوٗنۍ :- تہِ ڈٔپِتھ گوسہٕ شخص یُس کم کھبنہٕ وول آسہِ۔ تیز تیز پکان آسہِ تہٕ ژربن پکون لور آسہِ نہٕ۔

کھبنہٕ بوٚچھ :- یٔڈل۔ یُس ژوٚر کھوان آسہِ۔ یُس اور تہٕ یور تھَپہٕ آسہِ دِوان۔

کھبنہٕ بوہدٔر :- یُس سبٹھاہ کھوان آسہِ۔ یُس پتھ بروٚنہہ وُچھنہٕ ورأے کھوان گژھِ۔

کھبنہٕ چینگ یار :- ۱۔ سُہ شخص یُس کھنبس تیار آسہِ مگر اَتھِ روٗٹ کرِ نہٕ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) مطلبی، خودغرض۔

کھبنہٕ چوٗنٹھ :- وُچھِو "کھبنہٕ بانٛج" مانے ۲۔

کھبنہٕ روز :- زیٛادَے کھنٛچ بیمأرۍ۔ کھنٛچ بزاد۔

کھبنہٕ کھمن :- پوٚتُس پَتھ کھیٚون۔

کھبنہٕ کھوان تہٕ وبنہٕ ڈألۍ ڈألۍ :- تہِ ڈٔپِتھ گو روٗشی روٗشی تہٕ وَرگٔرۍ گٔرۍ کھیٚون یارِٹُن۔ نیٚبرۍ ژَمہِ بےٚ مأل لاگُن۔

کھبنہٕ گرٛاکھ :- سُہ یَس جان غذا کھنبس عادَتھ آسہِ۔ میوٗٹھ زیوٗٹھ کھبنہٕ وول۔

کھبنہٕ منٛزٕ ووگُس لگُن :- اَستھ گرٕتھ ئلۍ گنہِ خوشکبتھ تِنۍ۔

وارٕ کارٕ اَستھ گنہِ گُن ہاوُن۔

کھبنہٕ میوٗٹھ پوٚز ہورُن ٹیوٚٹھ :- تہِ ڈٔپِتھ گوکانٛہہ سُہ چیز یُس کھیٚون خوش کرِ مگر اَثر آسبس ناکارٕ۔ سُہ مزٕدار چیز یُس میچھتھ بگراوِ۔

کھبنہٕ وَڈ :- [<س: کھادَنہ + دَردَھ] کأنسہِ دیُتمُت رَقم بیترِ یُس واپس ینٛچ یا پھیرٕنٛچ وومید آسہِ نہٕ۔ سو وَڈیا پیشگی رَقم یُس گال کھاتس گژھِ۔

کھبنہٕ وُڈپٔٹھ دیُن :- رَقم بیترِ کأنسہِ یہِ زأنتھ تہِ دیُن زِ یہِ ما پھیرِ نہٕ واپس

کھبنہٕ وول ۱ :- ۱۔ یَس جان زَبر غذا کھنبس عادَتھ آسہِ۔ یَس میٹھِس زٔٹھِس ہاأل آسہِ۔ ۲۔ دیٛارٕ وول۔

کھبنہٕ وول ۲ :- مأل۔

کھبنہٕ وول رَٹُن :- ۱۔ کھنبس مأل نہٕ روزُن۔ کُنہِ کُن رغبتھ نہٕ روزٕنۍ۔ ۲۔ (ورگہٕ پأٹھۍ) مَرنَس واتُن۔ زِندٕ روزنٛچ براثتھ نہٕ روزٕنۍ۔

کھبنہٕ ہار :- یہِ کھنبس لگہِ۔ یہِ کھنبس کیُت جان آسہِ۔ کھیٚون لایق۔

کھبنہٕ یُن :- وَسُن، رٕسُن، پزٕ یُن۔

کھوٕونۍ :- ۱۔ تَم دیٛار یِم کھبنہٕ چَنہٕ باپتھ دِنۍ پین۔ ۲۔ سُہ پوٚنسہٕ ٹوٚنک یُس بٔٹن کورِ ہِنٛدِ گرِ کیٚنٛہہ کھبنہٕ وِزِ دِیُن چھُ آسان۔

کھیٚون تہِ گوبُن :- کھنبس لوٗلُن۔

کھیٚومُت چومُت کڈُن :- سخ مار دِیُن۔ سخ چوب دِنۍ۔